فَقُلْنَا اضْرِبْ بِّعَصَاكَ الْحَجَرَ ۖ فَانْفَجَرَتْ مِنْهُ اثْنَتَا عَشْرَةَ
عَيْنًا ۖ قَدْ عَلِمَ كُلُّ أُنَاسٍ مَّشْرَبَهُمْ ۖ كُلُوْا وَاشْرَبُوْا مِنْ رِّزْقِ
اللّٰهِ وَلَا تَعْثَوْا فِي الْأَرْضِ مُفْسِدِيْنَ ﴿٦٠﴾ وَإِذْ قُلْتُمْ يٰمُوْسٰى
لَنْ نَّصْبِرَ عَلٰى طَعَامٍ وَّاحِدٍ فَادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُخْرِجْ لَنَا مِمَّا
تُنْبِتُ الْأَرْضُ مِنْ بَقْلِهَا وَقِثَّآئِهَا وَفُوْمِهَا وَعَدَسِهَا وَ
بَصَلِهَا ۖ قَالَ أَتَسْتَبْدِلُوْنَ الَّذِيْ هُوَ أَدْنٰى بِالَّذِيْ هُوَ

---

بیہ پاوِ وژلتس یلہِ موسٰی کلیمُ اللھن طلب باران کورنپنہ قومہ خیطرہ آب مونگکھ اللہ تعالٰی اس اللہ تعالٰی چُھو فرماوان فَقُلْنَا اضْرِبْ بِّعَصَاكَ الْحَجَرَ پس فرمووا سہِ موسٰی کلیمُ اللھس ژنڈ دِیوِ پنہِ لورہِ سیت یتھ کنہِ یوسہ توہہِ بروٹھ کنہِ چھ فَانْفَجَرَتْ مِنْهُ اثْنَتَا عَشْرَةَ عَيْنًا پس جاری سپد تمہِ کنہ منزہ باہ ناگہ راد تمِن بنی اسرائیلن ہندن قبیلن ہنزہ گرنز۔ حضرت یعقوب علیہ السلامس آس باہ فرزند اَکس اَکس فرزندہ سند اولاد آسُو اکھ اکھ قبیلہ۔ تمنی قبیلن ہندِہ تعدادہ تہ شمارہ موجب درای تمہِ کنہ منزہ باہ ناگ قَدْ عَلِمَ كُلُّ أُنَاسٍ مَّشْرَبَهُمْ چنانچہ معلوم سُپد پریتھ اَکس شخصس پنہِ پنہِ آب چینچ تہ آب حاصل کرنچ جاے چنانچہ وننہ آکھ كُلُوْا وَاشْرَبُوْا مِنْ رِّزْقِ اللّٰهِ وَلَا تَعْثَوْا فِي الْأَرْضِ مُفْسِدِيْنَ اے بنی اسرائیلو کھیٔو یہ منِ وسلوٰی بیہ چیو یَمِن چشمن ہند آب۔ بیہ مہ پھیروز مینس اندر فساد تہ فتنہ تُلان یعنی میانین احکامن ہنز نافرمانی کران وَإِذْ قُلْتُمْ يٰمُوْسٰى لَنْ نَّصْبِرَ عَلٰى طَعَامٍ وَّاحِدٍ بیہ پاوِ وژلتس اے بنی اسرائیلیہ توہہ درخواست کوروہ حضرت موسٰی علیہ السلامس کہ اے موسٰی اَسِ حض ہیکونہ صبر تہ برداشت کرِتھ اکی قسمہ کِ کھینہ چیزس پیٹھ اسِ آے پریتھ دوہہ منِ وسلوٰی کھیوان کھیوان سخت عاجز فَادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُخْرِجْ لَنَا مِمَّا تُنْبِتُ الْأَرْضُ مِنْ بَقْلِهَا وَقِثَّآئِهَا وَفُوْمِهَا وَعَدَسِهَا وَبَصَلِهَا پس منگو حض سانہِ خیطرہ پنہ نسِ خدایس کہ سُو کھارِہ سانہ خیطرہ تمِ تمِ چیز تمِ زمینہ منزہ کھسان چھہِ تِمچہ ترکارہِ ہشہِ۔ لار تمکِ بیہِ کنکھہ تُمک۔ بیہ روہن تمیک بیہ۔ مُسرُ تمیکُ۔ بیہ پران تمیک قَالَ

خَيْرٌ ؕ اِهْبِطُوْا مِصْرًا فَاِنَّ لَكُمْ مَّا سَاَلْتُمْ ؕ وَضُرِبَتْ عَلَيْهِمُ الذِّلَّةُ وَالْمَسْكَنَةُ وَبَآءُوْ بِغَضَبٍ مِّنَ اللّٰهِ ؕ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ كَانُوْا يَكْفُرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَيَقْتُلُوْنَ النَّبِيّٖنَ بِغَيْرِ الْحَقِّ ؕ ذٰلِكَ بِمَا عَصَوْا وَّكَانُوْا يَعْتَدُوْنَ ﴿۶۱﴾ ع

---

اَتَسْتَبْدِلُوْنَ الَّذِىْ هُوَ اَدْنٰى بِالَّذِىْ هُوَ خَيْرٌ حضرت موسٰی ان فرموؤکھ کیاہ تُہہ چھوہ ژھانڈان تمِ چیز یم پست تہ بونمہِ درجک چھہِ تتھہ چیزس بدل یُس اعلیٰ دُرجک چیز چھُو یعنی من وسلویٰ اس بدل یُس توہہِ محنت ومشقتہ ورای حاصِل سپدان چھُو۔ کاژاہ چھہ تُہنز عقل تہ ہمّت پست اِهْبِطُوْا مِصْرًا فَاِنَّ لَكُمْ مَّا سَاَلْتُمْ یلہ توہہِ عز تکس رُوزِ یس سیت کھر چھہ ادہ اَژِوتُہہ شہر واندرہ کُنہِ شہرس اندر تہتہِ بَسِن توہہِ تمِ چیز یمِ تُہہ منگان چھوہ۔ زمین کرِو حاصِل۔ تو پتہ لاگو سُو۔ تتھہ منزوٗوِ یم تمِ چیز تہ کھیٚو وَضُرِبَتْ عَلَيْهِمُ الذِّلَّةُ وَالْمَسْكَنَةُ یژھے یژھے گستاخی کرنہ خیطرہ آیہ تراونہ تمن پیٹھ ذلت تہ خواری تہ پستی لوکن ہنزِہ نظرہ اندر روزنہ تمن کانہہ وقعت تہ کانہہ قدر۔ نہ رُوز تہندین طبیعتن اندر کُنہِ قسمہ اولوالعزمی تہ بلند ہمّتی باقی وَبَآءُوْ بِغَضَبٍ مِّنَ اللّٰهِ بیہ سپد تمِ مستحق خدایہ سنزِہ بیزار یہ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ كَانُوْا يَكْفُرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَيَقْتُلُوْنَ النَّبِيّٖنَ بِغَيْرِ الْحَقِّ اتھہ ذلت و خواری وبیزاری گئے تمِ گرفتاریمی موکھہ کہ تمِ آس انکار تہ نافرمانی کران پروردگارہ سندین احکامن بیہ آسِ پیغمبرن قتل کران تہ ماران ناحق تہ بے گناہ کُنہِ قسمکہِ جُرمہ وَرای ذٰلِكَ بِمَا عَصَوْا وَّكَانُوْا يَعْتَدُوْنَ اتھہ ذلت وخواری گئے تمِ گرفتاریمی موکھہ کہ تمِ آسِ انکار تہ نافرمانی کران پروردگارہ سندین احکامن تمن یہودن ہُند یہ حال بیان کرِتھہ اوس ممکن کانسہِ شخص ماگژھہِ یا خیال کہ ہرگاہ کانہہ شخصاہ یہودواندرہ یا بیٚو لوکو اندرہ توبہ واستغفار کرِتھہ ایمان لنہِ تس ماکرِہ نہ اللہ تعالیٰ بخشایِش تُہند ایمان تہ توبہ واستغفار ماکرِہ نہ قبول۔ سُو خیال دُور کرنہ خیطرہ فرموو اللہ تعالیٰ ان امہِ پتہ عام اکھ قانوناہ تہ قاعدہ کلیاہ اکھ اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَالَّذِيْنَ هَادُوْا وَالنَّصٰرٰى وَالصّٰبِـِٕيْنَ بیشک باایمان بیہ یہود بیہ نصاریٰ

إِنَّ الَّذِينَ آمَنُوا وَالَّذِينَ هَادُوا وَالنَّصَارَىٰ وَالصَّابِئِينَ مَنْ آمَنَ بِاللَّهِ وَالْيَوْمِ الْآخِرِ وَعَمِلَ صَالِحًا فَلَهُمْ أَجْرُهُمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ وَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُونَ ﴿٦٢﴾ وَإِذْ أَخَذْنَا مِيثَاقَكُمْ وَرَفَعْنَا فَوْقَكُمُ الطُّورَ خُذُوا مَا آتَيْنَاكُمْ بِقُوَّةٍ وَاذْكُرُوا مَا فِيهِ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُونَ ﴿٦٣﴾ ثُمَّ تَوَلَّيْتُمْ مِنْ بَعْدِ ذَٰلِكَ فَلَوْلَا فَضْلُ اللَّهِ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَتُهُ لَكُنْتُمْ مِنَ الْخَاسِرِينَ ﴿٦٤﴾

---

بیہِ صابئین یعنی سُو فرقہ یمن نہ مستقل کانہہ دیناہ چھُو۔ پریتھہ دینہ منزہ چھُو تمِو حسب خواہش اکھ اکھ چیز اہ اختیار کورمُت یمو ساروی فرقواندرہ مَنْ آمَنَ بِاللَّهِ وَالْيَوْمِ الْآخِرِ وَعَمِلَ صَالِحًا فَلَهُمْ أَجْرُهُمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ وَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُونَ یس شخصاہ پژھہ تہ یقین کرہ معبود برحقہ سندس ذات پاکس تہ تہندین صفاتن بیہ کرِہ پژھ پتمس دوہس یعنی قیامتس بیہ کرِہ رژہ عملہ یمہِ شریعت مُحمدیس موافق آسن تِتھین لوکن ہندِہ خیطرہ چھہ مزُور تہنز تہندس پروردگار نشہ یوسہ تمن عطا کرنہ ییہ لتس نشِ واتھہ بیہ آسہِ نہ تمن کانہہ خوفاہ بیہ سپدن نہ تمِ غمگین تہ پریشان یہ قانون بیان کرِتھ چھُو بیہ بیان سپدان بنی اسرائیلن ہند حالات و معاملات اسہِ کیاہ ورتو تمن سیت تمِو کیاہ معاملہ کور اسہ سیت وَإِذْ أَخَذْنَا مِيثَاقَكُمْ وَرَفَعْنَا فَوْقَكُمُ الطُّورَ بیہ یاد وژلتس اے بنی اسرائیلو یلہ اسہِ تُہہ عہد کرناوِیوہ۔ توہہ نشہِ روٹ اسہِ قول و قرار توریتس پیٹھ عمل کرنہ خیطرہ تل اسہِ کوہِ طورک اکھ حصاہ توہہ پیٹھہ ترِوانہ خیطرہ۔ فرمووا اسہِ توہہ خُذُوا مَا آتَيْنَاكُمْ بِقُوَّةٍ وَاذْكُرُوا مَا فِيهِ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُونَ تمہِ ساتہ فرمووا اسہِ تُہہ کرِو قبول سو کتاب یوسہ اسہِ توہہِ عطا کر پورہ طاقتہ تہ مضبوطی سیت نتہ تراوو وہ اُس یہ کوہِ تہندین کلن پیٹھہ وارہ تھاوِ یاد تم احکام یم اتھہ کتابہِ منز چھہ۔ دیوہ تُہہ متقی تہ پرہیز گار بنو۔ ثُمَّ تَوَلَّيْتُمْ مِنْ بَعْدِ ذَٰلِكَ امہِ قول و قرارہ پتہ تہِ پھیروہ تُہہ پوت یعنی اتھہ عہدس پیٹھہ رُود و نہ تُہہ قائم فَلَوْلَا فَضْلُ اللَّهِ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَتُهُ لَكُنْتُمْ مِنَ الْخَاسِرِينَ پس ہرگاہ نے توہہِ پیٹھہ خدایہ سُند فضل و رحمت آسہا امہِ

وَلَقَدْ عَلِمْتُمُ الَّذِيْنَ اعْتَدَوْا مِنْكُمْ فِي السَّبْتِ فَقُلْنَا لَهُمْ كُوْنُوْا قِرَدَةً خٰسِئِيْنَ ﴿٦٥﴾ فَجَعَلْنٰهَا نَكَالًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيْهَا وَمَا خَلْفَهَا وَمَوْعِظَةً لِّلْمُتَّقِيْنَ ﴿٦٦﴾ وَاِذْ قَالَ مُوْسٰى لِقَوْمِهٖٓ اِنَّ اللّٰهَ يَاْمُرُكُمْ اَنْ تَذْبَحُوْا بَقَرَةً ؕ قَالُوْٓا اَتَتَّخِذُنَا هُزُوًا ؕ

---

عهد شکنی سبب آسهو تهہِ ہلاک ته برباد سپد و نیواندره وَلَقَدْ عَلِمْتُمُ الَّذِيْنَ اعْتَدَوْا مِنْكُمْ فِي السَّبْتِ فَقُلْنَا لَهُمْ كُوْنُوْا قِرَدَةً خٰسِئِيْنَ بیهِ چھوه توہہ معلومی تمن لُوکن ہُند حال تم توہِ اندره حده ڈلِ بٹه وارِه ہندس معالمس اندراسهِ اوس تمن منع کورمُت بٹه واره دوه گاڈه شکار کرنه نشهِ مگر تمو کراتهه حکمس مخالفت پس فرمواسهِ تمن ذلیل واندر بنو۔ چنانچه بنے یه تمن واندرن ہنز شکل مسخ صورت سپُد کهہ فَجَعَلْنٰهَا نَكَالًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيْهَا وَمَا خَلْفَهَا وَمَوْعِظَةً لِّلْمُتَّقِيْنَ بیه کوراسهِ یه واقعه اکھ عبرتهاه تمن لوکن ہندهِ خیطره یمِ تمِ وقته موجود آسن بیهِ تمن لوکن ہندهِ خیطره یمِ تمن پته آیے۔ بیه کوراسه یه واقع بوڈ وعظ ته نصیحت خدالیس کھوژه وینن ہنده خیطره۔ بنی اسرائیلن منز اوس اکھ شخصاه تس اوس ناو عامیل۔ تس آس کُور۔ بیا کھ شخصاه تمِ کر امس کورِه ہندِس مالِس خواستگاری امسِ کوره سیت نکاح کرنه خیطره مگر تم کور تمسِ یه کُوردنه نشِ انکار تمسِ سپُد امسُند انکار کُرن سیٹھاه ناگوار یمِ موکھ تم کور سُو شخص پوشیده پاٹھه قتل تو پته ترووُن اکس جایه۔ لوکو یلهِ سُو تتهه جایه مارنه آمت وُچھ۔ تمِ لگِ دریافت کرنه که یه شخص کمِ سنا چھُو مور مُت تم آے حضرت موسیٰ کلیمُ اللّٰهس نشِ عرض کور ہکھه اسهِ حض گوژهه معلُوم سپُدن تمسِ شخصه سُند قاتلِ کُس چھُو تمِو فرمووہکھ بحکم خدائهِ تُهه ماریون اکھ گاواه تمسندی کنه تانه سیت دِیوامس مقتولس ژنڈ سُو سپده زنده سُوونهِ پانے میون قاتلِ کُس چھُو۔ امه پته چھُو اللّٰه تعالیٰ یوہے قصه بیان فرماوان وَاِذْ قَالَ مُوْسٰى لِقَوْمِهٖٓ اِنَّ اللّٰهَ يَاْمُرُكُمْ اَنْ تَذْبَحُوْا بَقَرَةً بیه یاوو سُو وقت ژُلس یلهِ حضرت موسیٰ علیه السلام من پنه نسِ قومس فرموو۔ یلهِ تمو اکس مقتول شخصه سُند قاتل تمِن نشه دریافت کرن ہیوت که پزِ پاٹھه اللّٰه تعالیٰ چھُو توہہ حکم کران که تُهه کرو ذبح اکس گاوه تمسندِه کُنهِ تانه

قَالَ اَعُوْذُ بِاللّٰهِ اَنْ اَكُوْنَ مِنَ الْجٰهِلِيْنَ ﴿٦٧﴾ قَالُوا ادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُبَيِّنْ لَّنَا مَا هِيَ ؕ قَالَ اِنَّهٗ يَقُوْلُ اِنَّهَا بَقَرَةٌ لَّا فَارِضٌ وَّلَا بِكْرٌ ؕ عَوَانٌۢ بَيْنَ ذٰلِكَ ؕ فَافْعَلُوْا مَا تُؤْمَرُوْنَ ﴿٦٨﴾ قَالُوا ادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُبَيِّنْ لَّنَا مَا لَوْنُهَا ؕ قَالَ اِنَّهٗ يَقُوْلُ اِنَّهَا بَقَرَةٌ صَفْرَآءُ ۙ فَاقِعٌ لَّوْنُهَا تَسُرُّ النّٰظِرِيْنَ ﴿٦٩﴾ قَالُوا ادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُبَيِّنْ لَّنَا مَا هِيَ ۙ اِنَّ الْبَقَرَ تَشٰبَهَ عَلَيْنَا ؕ

سيت ديو امسِ مقتولس ڙنڊ سُو سِپِڙه تمہ ڙنجہ سيت زنده سُوونہ پانے پتہ نسِ قاتِلہ سُند ناو۔ قَالُوْٓا اَتَتَّخِذُنَا هُزُوًا تمِ لگِ دِپنہِ کیاحض تُہہ ڇھوه اسہِ مسخره بناوان اسہِ سيت ٹُھٹھہ کران۔ تہِ کتہِ حض ڇھُو بُو زمت از تال کہِ گاوِہ ہندِہ تنہ سيت ڙنڊ دنہ سيت کیاسپِڙه مرده زِنده قَالَ اَعُوْذُ بِاللّٰهِ اَنْ اَكُوْنَ مِنَ الْجٰهِلِيْنَ موسیٰ علیہ السلام من فرموُکھ بہ ڇھُس اللہ تعالیٰ اس پناه منگان کہ بہ کیاه بنہ جاہلو اندره۔ احکام خداوندین منز تمسخر کرن ڇھہ جاہلن ہنز کوم قَالُوا ادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُبَيِّنْ لَّنَا مَا هِيَ تمِو دوپ حضرتِ موسیٰ اس تُہہ کرو حض سانہِ خیطره پنہ نسِ پروردگارس عرض کہ سُو کرِه بیان کہ امسِ گاوِہ ہند صفت کم کم گژھن آسن قَالَ اِنَّهٗ يَقُوْلُ اِنَّهَا بَقَرَةٌ لَّا فَارِضٌ وَّلَا بِكْرٌ عَوَانٌۢ بَيْنَ ذٰلِكَ فَافْعَلُوْا مَا تُؤْمَرُوْنَ تمِو فرموو کھ بیشک اللہ تعالیٰ ڇھُو فرماوان سو گاو گژھنہ آسن بُڈه نہ گژھہِ آسن بالکل لوکٹ وڙھر ہش بلکہ گژھہِ آسن یمن دون حالن درمیان۔ وُنِ مہ کرِو زیاده پرڙھہ پرڙھہ۔ وُن کرِو سو کام یمیک توہہ حُکم کرنہ یوان ڇھُو۔ قَالُوا ادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُبَيِّنْ لَّنَا مَا لَوْنُهَا تمِ لگِ دِپنہ تُہہ پرڙھو حض سانہ خیطره پنہ نسِ پروردگارس سُو کره بیان اسہِ تمسِ گاوِہ ہُند رنگ کیاه گژھہ آسن۔ قَالَ اِنَّهٗ يَقُوْلُ اِنَّهَا بَقَرَةٌ صَفْرَآءُ فَاقِعٌ لَّوْنُهَا تَسُرُّ النّٰظِرِيْنَ حضرت موسیٰ ان فرموُکھ بیشک اللہ تعالیٰ ڇھُوه فرماوان تمسِ گاوِہ ہند رنگ گژھہ زرد آسُن سُوی گژھیس آسُن شوخ زردیُس دِل پھولرا وِه وِڇھہِ وُنین۔ یعنی یُس وِڇھہِ وُنین فرحت وسرور بخشہ قَالُوا ادْعُ لَنَا رَبَّكَ يُبَيِّنْ لَّنَا مَا هِيَ اِنَّ الْبَقَرَ تَشٰبَهَ

وَ اِنَّآ اِنْ شَآءَ اللّٰهُ لَمُهْتَدُوْنَ ﴿۷۰﴾ قَالَ اِنَّهٗ يَقُوْلُ اِنَّهَا بَقَرَةٌ لَّا ذَلُوْلٌ تُثِيْرُ الْاَرْضَ وَلَا تَسْقِي الْحَرْثَ ۚ مُسَلَّمَةٌ لَّا شِيَةَ فِيْهَا ؕ قَالُوا الْـٰٔنَ جِئْتَ بِالْحَقِّ ؕ فَذَبَحُوْهَا وَمَا كَادُوْا يَفْعَلُوْنَ ﴿۷۱﴾ وَاِذْ قَتَلْتُمْ نَفْسًا فَادّٰرَءْتُمْ فِيْهَا ؕ وَاللّٰهُ مُخْرِجٌ مَّا كُنْتُمْ تَكْتُمُوْنَ ﴿۷۲﴾ فَقُلْنَا اضْرِبُوْهُ بِبَعْضِهَا ؕ كَذٰلِكَ يُحْيِ اللّٰهُ الْمَوْتٰى

---

عَلَيْنَا وَ اِنَّآ اِنْ شَآءَ اللّٰهُ لَمُهْتَدُوْنَ دپنه لگ بیہ پر ژھو حض پنه نس پروردگارس سانه خیطر ہ کہ سُو کرہ بیان سانہ خیطر ہ وارہ وضاحتہ سان سو گاوٚ کرٛژھہ گرٛژھہِ آسِن تمُسند خاص علامت تہ نشانہ چھاکینہہ۔ بیشک سو گاوٚ تمسندہ سیت اسہِ قاتلہِ سُند پتہ لگہِ سوچھ اسہِ نشہِ مشتبہ۔ ہر گاہ اللہ تعالیٰ نٔنر اوِتھ بیان فرماوِہ تتھ صورتس اندر لگہِ اسہِ ضرور پتاہ یوٚژھے خداین قَالَ اِنَّهٗ يَقُوْلُ اِنَّهَا بَقَرَةٌ لَّا ذَلُوْلٌ تُثِيْرُ الْاَرْضَ وَلَا تَسْقِي الْحَرْثَ مُسَلَّمَةٌ لَّا شِيَةَ فِيْهَا موسٰی علیہ السلامن فرموٗکھ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان سو گاو گرٛژھہ آسِن محنت کش یو سہ الہ بانہِ سیت زمین تُلہ ونِ آسہِ۔ بیہ آسہِ نہ ارہٹس لاگتھ زمینس زراعتس سگ دوہ ونِ سالم آسہ عیبو نشہِ۔ کانہہ داغاہ آسہِ نہ تس۔ بیاکھ رنگاہ آسیس نہ یعنی ٹِچہ ہار آسہِ نہ بلکہ آسہِ اَکی رنگہ قَالُوا الْـٰٔنَ جِئْتَ بِالْحَقِّ یہ بوزِتھ دوپ تمو موسٰی علیہ السلامس ووِن کیاحض آوہ تہہ صاف وشستہ کتھ ہیتھ۔ امہِ پتہ کور تمو تلاش امس گاوِہ ہند۔ تو پتہ لبھہ امہِ قسیچ گاوٚ اکس جوانس نِشِ یُس پنہِ ماجہ ہُند اوس سخت فرمانبردار۔ تمسی نشہِ ہیٚتھ کھ یہ گاوٚ مل تیتس سونس یمہ سونہ سیت تمُسند مُسلہ تہ دالہ برنہ ییہ ہا فَذَبَحُوْهَا وَمَا كَادُوْا يَفْعَلُوْنَ پس کور تمو تس گاوہ کھش۔ درحالیتکہ آسِ نہ یم یہ کام کرہ ونِ یہ تہند یو سوالا تو سیت ظاہر سپدان اوس مگر چارہ لوگکھ نہ کینہہ تہ۔ امہِ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان اتھ قصّس متعلق مزید بیان وَ اِذْ قَتَلْتُمْ نَفْسًا فَادّٰرَءْتُمْ فِيْهَا بیہ یاد وتھہ ژِ تس سُو وقت یلہِ تو ہہِ اندرہ کُتام شخصن مورا کھ شخصاہ تو پتہ ہیو توہ تو ہہِ اندرہ پریتھہ اکِ پنن پان بری ہاونہ خیطر ہ اکھ اَکس ہانژھہ لاگنِ یعنی چھاوٚن داسی ہیٚر شوہ کرنِ وَاللّٰهُ مُخْرِجٌ مَّا كُنْتُمْ تَكْتُمُوْنَ اللہ تعالیٰ اس اوس

وَيُرِيكُمْ اٰيٰتِهٖ لَعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ ﴿۷۳﴾ ثُمَّ قَسَتْ قُلُوْبُكُمْ مِّنْۢ بَعْدِ ذٰلِكَ فَهِيَ كَالْحِجَارَةِ اَوْ اَشَدُّ قَسْوَةً ؕ وَاِنَّ مِنَ الْحِجَارَةِ لَمَا يَتَفَجَّرُ مِنْهُ الْاَنْهٰرُ ؕ وَاِنَّ مِنْهَا لَمَا يَشَّقَّقُ فَيَخْرُجُ مِنْهُ الْمَآءُ ؕ وَاِنَّ مِنْهَا لَمَا يَهْبِطُ مِنْ خَشْيَةِ اللّٰهِ ؕ وَمَا اللّٰهُ بِغَافِلٍ

---

نہ اون منظور ته، يه تهه کهٹان ته پوشيده تهاوان آسوه. تمی موکھ يلهِ اسه، توهه گاوَ ذبح کره تُک حکم کور فَقُلْنَا اضْرِبُوْهُ بِبَعْضِهَا پس فرمووا سه ڊيو ٹنڈا اُمس مُردس اُمسِ مقتول شخص اُمس ِمذبوحه گاوِه ہنده کُنهِ تانه سيت توپته دڑ تموِ اُمس گاوِه ہندهِ زيوهِ سيت يارانه سيت ٹنڈا اُمسِ مقتولس. چنانچه سُو مقتول گو زنده. تم وون پنه نسِ قاتله سُند ناوَ. سُواوس پنه نيو دويو پتريو بابَو ياباپتهر و مالکهِ طمعه يا نيتهر نه دنه موکھو مورمُت. الله تعالیٰ چھو فرماوان امهِ پته قيامته کين مُنکرن تمِ مرنه پته بيهِ زنده گڑهه نس انکار چهِ کران كَذٰلِكَ يُحْيِ اللّٰهُ الْمَوْتٰى تتهےَ پاٹهِ کياه کرِه الله تعالیٰ قيامتک دوه مُردن بيهِ زنده يتهه پاٹهِ يه مقتول بيهِ زنده کورُن وَيُرِيكُمْ اٰيٰتِهٖ لَعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ الله تعالیٰ چھوه تهه پننه قدرتک نشانه هاوان پننهِ قدرته سيت ديوه تُهه عقله کام هيُو يُتهه تُهِه امهِ سيت زانوِ که يُس خدا ايس يه اکه مرده توگ زنده کرن تس نشهِ کياه عجائب چھو ساری مُرده قيامتک دوه بيهِ زنده کرن. حديث شريفس منز چھو آمُت که هرگاه بنی اسرائيل پرژهه پرژهه کره هن نه گوڈنی مارهن کانهه گاواه مقصد سپد هکهه حاصل امهِ پته چھو الله تعالیٰ فرماوان که تمنِ بنی اسرائيلن سُپد نه تمِ واقعات وچهتهه کانهه اثراه. يُهند دِل سُپد سٹهاه سخت ثُمَّ قَسَتْ قُلُوْبُكُمْ مِّنْۢ بَعْدِ ذٰلِكَ فَهِيَ كَالْحِجَارَةِ اَوْ اَشَدُّ قَسْوَةً تمو تهيو واقعاتو پته گڑهه تهند دِل نرم گڑهن خدايه سندِه قدرتک بڈ بڈ نشانه وچهتهه مگر تتهه بدل سُپد تهُند دِل سٹهاه سخت پس سُپد تهندِ دِل کنهِ هشه. بلکه چهِ تهندِ دِل کينو خوته تهِ زياده سخت يمه وَجه کهِ وَاِنَّ مِنَ الْحِجَارَةِ لَمَا يَتَفَجَّرُ مِنْهُ الْاَنْهٰرُ بيشک کينو اندره چهه بعضے کنهِ يمو اندره دريا چهه جاری سپدان وَاِنَّ مِنْهَا لَمَا يَشَّقَّقُ فَيَخْرُجُ مِنْهُ الْمَآءُ بيشک بيهِ چهه کينو اندره بعضے کنهِ يمه پهٹان چهه پس چھو تموِ اندره ته آب جاری سپدان وَاِنَّ مِنْهَا لَمَا

عَمَّا تَعْمَلُوْنَ ﴿۷۴﴾ اَفَتَطْمَعُوْنَ اَنْ يُّؤْمِنُوْا لَكُمْ وَقَدْ كَانَ فَرِيْقٌ مِّنْهُمْ يَسْمَعُوْنَ كَلٰمَ اللّٰهِ ثُمَّ يُحَرِّفُوْنَهٗ مِنْۢ بَعْدِ مَا عَقَلُوْهُ وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ ﴿۷۵﴾ وَاِذَا لَقُوا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا قَالُوْٓا اٰمَنَّا ۚۖ وَاِذَا خَلَا بَعْضُهُمْ اِلٰى بَعْضٍ قَالُوْٓا اَتُحَدِّثُوْنَهُمْ بِمَا فَتَحَ اللّٰهُ عَلَيْكُمْ لِيُحَآجُّوْكُمْ بِهٖ عِنْدَ رَبِّكُمْ ۭ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿۷۶﴾

---

يَهْبِطُ مِنْ خَشْيَةِ اللّٰهِ بيشڪ ٻيو ڇھ بعضي ڪنهِ ٿيمه ٿھزره پيٺھ بون وسٿھ پيوان ته ڏله گرڻھان ڇھ خدايه سندِه خوفه سيت مگر ٿُھندين دلن ڇھُھنه ڪنهِ قسمه اثرگرڻھان ٿھند دِل ڇھِ قساوتن ولمتِ ٿمي قساوته سبه ڇھوه ٿُھه يمه يمه ٿيڇھ ڪامه ڪران۔ وَمَا اللّٰهُ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعْمَلُوْنَ اللہ تعالیٰ ڇھُنه ٿھنز و ٿمو ٿيڇھ ڪاميو نشه بي خبر۔ سُودِيهِ توهه جلدي ٿمُيڪ سزا۔ يھودن هنديم حالات بيان ڪرِٿھ ڇھُو اللہ تعالیٰ امه پته ٿمِن مسلمانن ٿيمِ ڪوشش ڪران ڇھ يم يھود گرڻھه ايمان انِ ٿمي خيطره ڇھِ ٿمِ غم کھيوان فرماوان ڪه اَفَتَطْمَعُوْنَ اَنْ يُّؤْمِنُوْا لَكُمْ اي مسلمانو! ڪياه ٿيمِ ايت قِصه بوزٿھ ڇھوه ٿُھه توقع ڪه ٿُھنزه ڪوششه سيت ڪيا انن ٿيمِ يُھود ايمان حالانڪه ٿيمو ساروي قِصوّ علاوه ڇھَ يھنز بياکھ اکھ عجيب ڪٿھاه ڪه وَقَدْ كَانَ فَرِيْقٌ مِّنْهُمْ يَسْمَعُوْنَ كَلٰمَ اللّٰهِ ثُمَّ يُحَرِّفُوْنَهٗ مِنْۢ بَعْدِ مَا عَقَلُوْهُ وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ پرٖپاڻھ يمو اندره ڇھ اکھ جماعتاه گذريمرٖ ٿيمِ بوزان آسِ خدايهِ سُند ڪلام توپته آسِ ٿٿھ تغير و تبديل ڪران تحريف لفظي تهِ ڪران تحريف معنوي تهِ ڪران زانٿھِ ڪرِٿھ ديده ودانسته۔ ٻيه آسِ ٿمِ زانان يه ڪٿھ ڪهِ اَسِ ڇھِ يه ٿيڇھ ڪام ڪران۔ مگر اغراض نفساني آسڪھ يه ٿيڇَھ ڪام ڪرنس پيٺھ آماده ڪران وَاِذَا لَقُوا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا قَالُوْٓا اٰمَنَّا ٻيه يلهِ ٿيمِ منافق يُھود مسلمانن سيت ملاقات آسِ ڪران ٿمِن آس وَنان اسهِ تهِ اون ايمان وَاِذَا خَلَا بَعْضُهُمْ اِلٰى بَعْضٍ قَالُوْٓا اَتُحَدِّثُوْنَهُمْ بِمَا فَتَحَ اللّٰهُ عَلَيْكُمْ لِيُحَآجُّوْكُمْ بِهٖ عِنْدَ رَبِّكُمْ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ٿمهِ پته يلهِ ٿمو منافق يُھود واندره بعضي بين خالص يھودن نش واتان آسِ ٿمِن آسِ ديان اَسِ ڇھ توهي سيت متفق ٿيمِ خالص يھود آسڪھ ونان اده ڪيازه ڇھوه ٿُھه يمن مسلمانن ٿمه ڪٿھ باوان ٿيمه ٿمِن مفيد

أَوَلَا يَعْلَمُونَ أَنَّ اللَّهَ يَعْلَمُ مَا يُسِرُّونَ وَمَا يُعْلِنُونَ ﴿٧٧﴾ وَمِنْهُمْ أُمِّيُّونَ لَا يَعْلَمُونَ الْكِتَابَ إِلَّا أَمَانِيَّ وَإِنْ هُمْ إِلَّا يَظُنُّونَ ﴿٧٨﴾ فَوَيْلٌ لِّلَّذِينَ يَكْتُبُونَ الْكِتَابَ بِأَيْدِيهِمْ ثُمَّ يَقُولُونَ هَٰذَا مِنْ عِندِ اللَّهِ لِيَشْتَرُوا بِهِ ثَمَنًا قَلِيلًا ۖ فَوَيْلٌ لَّهُم مِّمَّا كَتَبَتْ أَيْدِيهِمْ وَوَيْلٌ لَّهُم مِّمَّا يَكْسِبُونَ ﴿٧٩﴾ وَقَالُوا

---

مطلب چھِ آسان یمہ کتھہ اللہ تعالیٰ ان توہہِ نشہِ ظاہر تہٕ منکشف چھہ کر مژہ تورالتس اندر۔ اس چھہ تمہ کتھہ مصلحتاً پوشیدہ تھاوان تُہہ چھوہ تمہِ کتھہ نز اوان۔ امیک نتیجہ چھو کہ پگاہ قیامتک دوہ خدالیس برونٹھہ کنہِ کرنوہ تمِ توہہ لاجواب یہ کتھہ چھنا توہہ فکرہ تران۔ أَوَلَا يَعْلَمُونَ أَنَّ اللَّهَ يَعْلَمُ مَا يُسِرُّونَ وَمَا يُعْلِنُونَ کیاہ تمِن چھنا معلوم کہ اللہ تعالیٰ چھو تہٕ سورُی زانان یہ تمِ پوشیدہ تھاوان چھِہ۔ بیہِ تہٕ سورُی یہ تمِ نزاوان چھہِ سُو چھُو با ایمانن تہنزہ ہمہ سارے کتھہ باوان۔ امہِ پتہٕ چھُو اللہ تعالیٰ عام یُہود ن ہند حال ظاہر کران وَمِنْهُمْ أُمِّيُّونَ لَا يَعْلَمُونَ الْكِتَابَ إِلَّا أَمَانِيَّ وَإِنْ هُمْ إِلَّا يَظُنُّونَ تمِو یہود وٲندر چھہِ اکثر ناخواندہ تہٕ اَن پَر۔ تمن چھنہ خبری تورالتس منز کیاہ چھُو لیکھتھہ۔ مگر زانن تمِ دِلس خوش کرہ ونہِ کینہہ اپزہ کھتہ یمہ تمو بوزمژہ چھہ پنہ نین غیر متدین عالمن نشہِ۔ مثلاً جنتس منز واتن نہ یُہود ن ورای کانہہ تہِ بیہ گرہ ناون تہندِ مالِ بُڈبب تمن سارنی گونہن بخشا یئش۔ تمِ آسِ تہند خیالات باکل بے دلیل تہٕ بے سند۔ تمِ چھنہ فی الحقیقت کینہہ تہِ زانان بلِ چھہِ تمِ خیالی پلاوٕ رنان۔ عوامن ہنزہِ امہِ تو ہمّ پرستی ہُند سبب چھُو تہندین علماءن ہنز خیانت فَوَيْلٌ لِّلَّذِينَ يَكْتُبُونَ الْكِتَابَ بِأَيْدِيهِمْ ثُمَّ يَقُولُونَ هَٰذَا مِنْ عِندِ اللَّهِ لِيَشْتَرُوا بِهِ ثَمَنًا قَلِيلًا لہذا چھہ بڈہ خرابی تہٕ بربادی ویل تہٕ افسوس تمن عالمن ہندہِ خیطرہ یم لیکھان چھہِ کتاب یعنی توریت اوُرک یور تہٕ ادل بدَل کرِ تھہ۔ بیہ چھس ملہ ناوان پننہِ طرفہ تہِ یہِ خوش چھُکھہ کران تہِ توپتہ چھہِ ونان لوکن یہ چھُو خدایہ سندہِ طرفہ یُتھہ تمہِ سیت تمِ حاصل کرن تہٕ زینن تمِن نشہِ مولاہ تہٕ قیمتاہ سٹھاہ کم فَوَيْلٌ لَّهُم مِّمَّا كَتَبَتْ أَيْدِيهِمْ وَوَيْلٌ لَّهُم مِّمَّا

لَنْ تَمَسَّنَا النَّارُ اِلَّاۤ اَیَّامًا مَّعْدُوْدَةً ؕ قُلْ اَتَّخَذْتُمْ عِنْدَ
اللّٰهِ عَهْدًا فَلَنْ یُّخْلِفَ اللّٰهُ عَهْدَهٗۤ اَمْ تَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ مَا
لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿۸۰﴾ بَلٰى مَنْ كَسَبَ سَیِّئَةً وَّاَحَاطَتْ بِهٖ خَطِیْٓـَٔتُهٗ
فَاُولٰٓىِٕكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ۚ هُمْ فِیْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿۸۱﴾ وَالَّذِیْنَ

---

یَكْسِبُوْنَ پس چھُو تہندہِ خیطرہ بوڈویل تہٕ افسوس تمہِ سببہ یہِ تمولیوکھ پنہٕ نیوا تھو تغیر و تبدیل کرِ تھہ۔ بیہ چھُو تہندی خیطرہ ویل تہٕ افسوس تمہِ موکھ یہ تم امہِ سیت زینان تہٕ حاصل کران آس۔ یہود آس دعویٰ کران کہ دین موسوی چھو نہ منسوخ نہ دین عیسوی سیت نہ دینِ اسلامہ سیت لہذا چھِ تمِ بدستور مومن حضرت عیسیٰ سندِس نبوتس یا حضرت محمد ﷺ سندس نبوتس انکار کرنہ سیت۔ تمِ کافر چھنہ وون ہرگاہ تم بعضی گنہو سببہ جہنمس منزواتن تہٕ آسہِ کم کینہہ مدتہٕ خیطرہ۔ تو پتہٕ ینِ تمِ تمہِ منزہ کڈنہ یہ اوس یہودن ہُند خیال۔ اتھ خیالس تہندس چھُو اللہ تعالیٰ ردّ کران وَقَالُوْا لَنْ تَمَسَّنَا النَّارُ اِلَّاۤ اَیَّامًا مَّعْدُوْدَةً ونان آسِ یہود پننہِ خیالہ کہ اسہِ لاگہِ نہ نار جہنّم اتھ تہٕ مگر کنیژ نے دہن زیادہ خو تہٕ زیادہ تیتین دوہن اتین دوہن تہندیو آباوَاجدادَو گوسالہ پرستی یعنی وژھہ سنز عباد تھہ کرمژ چھہ قُلْ اَتَّخَذْتُمْ عِنْدَ اللّٰهِ عَهْدًا فَلَنْ یُّخْلِفَ اللّٰهُ عَهْدَهٗۤ اَمْ تَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ تُہہ فرماویو کھ حضیار سول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم اے یہودَو تُہہ چھوہ اتھ متعلق اللہ تعالیٰ اس نشہِ کانہہ تیُتھ عہداہ روٹمت تہٕ حاصل کورمُت یَتھ نہ سُو خلاف ہیکہ کرتھہ۔ کنہِ تُہہ چھوہ خدا یس نسبت سوکتھہ لاگان تیچ نہ توہہِ نش کانہہ دلیلاہ تہٕ ثبوتاہ چھُو۔ امہِ پتہٕ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان اکھ ضابطاہ اکھ یمہ سیت یم لوکھ نارس اندر ابدالآباد روزہ ون آسن بَلٰى مَنْ كَسَبَ سَیِّئَةً وَّاَحَاطَتْ بِهٖ خَطِیْٓـَٔتُهٗ فَاُولٰٓىِٕكَ اَصْحٰبُ النَّارِ هُمْ فِیْهَا خٰلِدُوْنَ یہ کتھ چھنہ ہرگز صحیح یہ تُہہ وَنان چھوہ بلکہ چھُو اسہِ نشہِ نارس اندر ہمیشہ روزنہ خیطرہ اکھ ضابطاہ تہٕ قاعدہ کلیاہ مقرہ۔ سُو گوای زِہ یُس شخصاہ گناہ کرہِ تو پتہٕ ین وَلنہ تس پنن گناہ پریتھہ طرفہ۔ کانہہ طرفاہ آسیس نہ خالی گنہو نشہِ تااینکہ دِل آسیس خالی ایمانہ تہٕ تصدیقہ نشہِ یعنی بے

اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ ۚ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٨٢﴾ وَاِذْ اَخَذْنَا مِيْثَاقَ بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ لَا تَعْبُدُوْنَ اِلَّا اللّٰهَ ۫ وَبِالْوَالِدَيْنِ اِحْسَانًا وَّذِي الْقُرْبٰى وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنِ وَقُوْلُوْا لِلنَّاسِ حُسْنًا وَّاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ ؕ ثُمَّ تَوَلَّيْتُمْ اِلَّا قَلِيْلًا مِّنْكُمْ وَاَنْتُمْ مُّعْرِضُوْنَ ﴿٨٣﴾

---

ایمان تہ کافر آسہِ پَس تمی قسمک لُوکھ چھہ نار جھنمس اندر رواتہ ونِ۔ تمِ روزن تتھہ منز ہمیشہ ابدُ الآباد وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ وون یمو لو کو پڑھ کر خدا ایس بیہ تہندس پیغمبرس بیہ کریکھ تہندی حُکمہ موجب رڑہ رڑہ کامہِ امی قسمکِ لوکھ چھہ جنتی تمے روزن اتھہ منز ہمیشہ ابدُ الآباد۔ لہٰذا امہِ قاعدہ کلیہ سیت سپد ردّ یہُودن ہندِس باطِل دعویٰ اَس یس تمو کریاو۔ وَاِذْ اَخَذْنَا مِيْثَاقَ بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ لَا تَعْبُدُوْنَ اِلَّا اللّٰهَ بیہ پاوو ژتس سُو وقت یلہِ مہِ توراتس اندر بنی اسرائیلن نشہِ عہد و پیمان روٹ یتھہ کتھہِ پیٹھہ کہ عبادت تہ بندگی کرزنہ معبودِ برحقس ورای کانسہِ ہنز۔ کیازہ سُی یوت چھُو عبادتس سزاوار وَبِالْوَالِدَيْنِ اِحْسَانًا وَّذِي الْقُرْبٰى وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنِ وَقُوْلُوْا لِلنَّاسِ حُسْنًا بیہ کرہ ناوِ تمِ اسہِ عہد مالس ماجہ کرزِہ آشناون تہ رشتہ وارن نسبت احسان بیہ کرزِہ مسکینن غریبن محتاجن نسبت احسان بیہ آسزِہ عام لُوکن سیت رُتِ پاٹھہ خوش خلقی سان کتھہ کران وَّاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ بیہ تھاوِو نماز برپا۔ پابندی سان آسوِ نماز ادا کران۔ یِہہ آسوِ ماچ زکوۃ دوان ثُمَّ تَوَلَّيْتُمْ اِلَّا قَلِيْلًا مِّنْكُمْ وَاَنْتُمْ مُّعْرِضُوْنَ توپتہ پھیروہ تُہہ امہ عہدہ نشہِ عہد شکنی کروہ توہہ کینژن لُوکن ورای تمِ گئے تمِ یمو توراتس پیٹھہ پُور پابند رُوزتھہ شریعت محمدّیہ قبول کور۔ اے یہُودو تہند عادتھے چھُو عہد شکنی

وَإِذْ أَخَذْنَا مِيثَاقَكُمْ لَا تَسْفِكُونَ دِمَاءَكُمْ وَلَا تُخْرِجُونَ
أَنْفُسَكُمْ مِنْ دِيَارِكُمْ ثُمَّ أَقْرَرْتُمْ وَأَنْتُمْ تَشْهَدُونَ ﴿٨٤﴾
ثُمَّ أَنْتُمْ هَٰؤُلَاءِ تَقْتُلُونَ أَنْفُسَكُمْ وَتُخْرِجُونَ فَرِيقًا مِنْكُمْ
مِنْ دِيَارِهِمْ تَظَاهَرُونَ عَلَيْهِمْ بِالْإِثْمِ وَالْعُدْوَانِ ۖ وَإِنْ

---

کرن۔ اقرار کرِ تهه پوت پھیرن وَإِذْ أَخَذْنَا مِيثَاقَكُمْ لَا تَسْفِكُونَ دِمَاءَكُمْ وَلَا تُخْرِجُونَ أَنْفُسَكُمْ مِنْ دِيَارِكُمْ ثُمَّ أَقْرَرْتُمْ وَأَنْتُمْ تَشْهَدُونَ بیه پاؤ سُو وقت ته ڑتس یلهِ اسهِ. توہهِ نشهِ عهد روٹ یمه کتهِ ہُند که یتھنه تُهه خانه جنگی کرِ تهه اکھ اک سُند خُون هارو۔ بیه یتھنه کڈیو کھه پنِ پان یعنی پانه وانِ لُوکھه پنه نیو شهر وانده ره توپته کوروه توہه اتھه پیٹھ پورا اقرار ضمنی اقرار نه بلکه صریح اقرار زن تہه تچ شہادت ته گواہی دوان چھوه ثُمَّ أَنْتُمْ هَٰؤُلَاءِ توپته تمِ تُہه موجوده وقتس منز یہُود چھوه تہه تهِ چھوه تتھه صریح عہده پیمانس خلاف کرِ تهه تَقْتُلُونَ أَنْفُسَكُمْ وَتُخْرِجُونَ فَرِيقًا مِنْكُمْ مِنْ دِيَارِهِمْ تَظَاهَرُونَ عَلَيْهِمْ بِالْإِثْمِ وَالْعُدْوَانِ وَإِنْ پانه وانِ چھوه قتل و قتال کران بیهِ پھون پنن اکھه جماعت تهند یو شهر وانده ره نیبر کڈان ترک وطن کرنس پیٹھه پھوکھه تمِ مجبور کران یمه طریقه که تهندین مخالفن گناهه سیت ته ظلمه سیت۔ اتھه متعلق آس تمِن پیٹھ تره حکم واجب سپدمتِ اکھه حکم اوسُھه پانه وانِ مه آسوِ قتل و قتال کران بیاکھه حکم اوسکھ لُوکھه مه آسیوکھ شهره منزه نیبر کڈان جلاء وطن کران تریم حکم اوسُھه که ہرگاه تُہه پننه قوم منزه کانہه شخصاه بین نشهِ گرفتار کرنه آمُت وچھون سُو آنزِن هاره دِتھه موکلاوتھه انان۔ یمو تریُو حکمو منزه آسِ نه تمِ دُون حکمن پیٹھه کانہه عمل کران صرف آسِ ترٗیمس حکمس پیٹھه عمل کران۔ تچ صورتھه آس یتھه پاٹھِ که مدینه شریفس منز آسِ کافرن ہندِ زه قبیله اکھه اَوس ته بیاکھ خزرج تمِن دون اوس سخت عداوت کُنہِ کُنہِ وقته آس تمِن جنگ وجدال و قتل و قتالچ نوبت واتان۔

مدینه شریفس اندِ پکِ آس یہُودن ہند ته زه قوم بسان بنی قریظه و بنی نضیر۔ اَوس ته بنی قریظه آسِ پانه وان دوست۔ یتھے پاٹھه آس خزرج ته بنی النضیر پانه وان اکھه اکسندِ دوست۔ یله کافرن ہندین دون قبیلن

يَّأۡتُوۡكُمۡ اُسٰرٰى تُفٰدُوۡهُمۡ وَهُوَ مُحَرَّمٌ عَلَيۡكُمۡ اِخۡرَاجُهُمۡ ؕ اَفَتُؤۡمِنُوۡنَ بِبَعۡضِ الۡكِتٰبِ وَتَكۡفُرُوۡنَ بِبَعۡضٍ ۚ فَمَا جَزَآءُ

---

اُوس تہ خزرج پانہ وان لڑائی ووتھان آس یہودن ہندزہ قبیلہ بنی قریظہ تہ بنی النضیر آسِ تمہِ ساتہِ پنہ نین پنہ نین دوستن مدد کران۔ بنی قریظہ آسِ قبیلہ اُوسس مدد کران بنی النضیر آسِ قبیلہ خزرجس مدد کران۔ یہ کتھ چھہ ظاہر کہ بنی قریظکہ قتل واخراجُک اثراوس پیوان بنی النضیر س پیٹھہ۔ بنی النضیر کہ قتل واخراجُک اثراوس پیوان بنی قریظس پیٹھہ۔ البتہ ہر گاہ یہودن ہندیو تمَو دوشوی جماعتو اندرہ کانہہ شخصاہ جنگس اندر گرفتار سپدِہاتمہِ ساتہ آسِ یہُود پنہ نین دوستن مالِ دِتھہ راضی کران تس گرفتار۔ سپدِمتِس شخصس آسِ موکلاوِتھہ انان۔ ہر گاہ کانہہ شخصاہ تمن اتھہ متعلق اعتراض کرِہا تس آسِ ونان کہ اسہِ پیٹھہ چھُو قیدی رہا کرہ ناوُن واجب۔ ہر گاہ کانہہ شخصاہ اعتراض اوس تمن کران کہ قتل و اخراج تے توہہِ ناجائز اوس تہٖ کیازہ چھوہ یمن دوِن چیزن اندر پہلو تہی کران دپان آسِ اسہِ چھُو پنہ نین دوستن اعانت ومدد کرنس پیٹھہ عار یوان۔ اللہ تعالیٰ چھُو یمن یہودن ہنزاچھی شکایت کران۔ پنہ نین لوکن مقابلہ تہندین دشمن مدد کرنہ اَندرہ چھُومُراد قبیلہ اُوس وخزرج۔ اللہ تعالیٰ ان فرموو گناہو ظلمہ سیت آسِ تمن امداد کران۔ امہِ اَندرہ چھُومُراد کہ تمِ آسِ امہِ سیت زہ حق ضائع کران۔ اکھ خدایہ سُند حق۔ کیازِہ تہندِس حُکمس آسِ نہ تعمیل کران۔ بیہ اوس حق العباد تہ ضائع کران۔ کیازہ بین آزار واتہ ناوان۔ تی چھُو فرماوان اللہ تعالیٰ وَاِنۡ يَّأۡتُوۡكُمۡ اُسٰرٰى تُفٰدُوۡهُمۡ وَهُوَ مُحَرَّمٌ عَلَيۡكُمۡ اِخۡرَاجُهُمۡ بیہ ہرگہِ تمولوکو اَندرہ کینہہ لُوکھہ لڑایہ اندر گرفتار سپدتھہ توہیہ نشِ واتان چھِ تمِ چھُوکھہ مال وفدیہ دِتھہ موکلاوان حالانکہ تم پنہ وطنہ منزہ کڈنِ تہِ اوس توہہِ پیٹھہ حرام۔ یتھے پاٹھہ تمِ قتل کرن تہِ اوس تہٖ پیٹھہ حرام مگر تمن دون کتھن ہُند چھُنہ کانہہ پرواہ کران تریمہِ کتھہِ ہُند یعنی فدیہ دِتھہ قید موکلاوتھ انہ نُک چھُوہ خیال کران اَفَتُؤۡمِنُوۡنَ بِبَعۡضِ الۡكِتٰبِ وَتَكۡفُرُوۡنَ بِبَعۡضٍ امہِ اَندرہ چھُو ننان کہِ تہٖہ چھُوہ توراتہ کین اڈین حکمن پرٛتھہ کران اڈین حکمن انکار کران۔ فَمَا جَزَآءُ مَنۡ يَّفۡعَلُ ذٰلِكَ مِنۡكُمۡ اِلَّا خِزۡىٌ فِى الۡحَيٰوةِ الدُّنۡيَا پس ونتو تُہی کہِ یُس شخص توہہ اندر اَمہِ قسمُک کام کرِہ تس ماشوبہ سزا دُنیاچہِ خواری تہ رسوائی ورای کنہہ تہِ۔ چنانچہ تی آو بعمل بنی قریظہ آی قتل کرنہ۔ بنی النضیر آے بکمالِ خواری جلاء وطن

مَنْ يَّفْعَلُ ذٰلِكَ مِنْكُمْ اِلَّا خِزْيٌ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۚ وَيَوْمَ
الْقِيٰمَةِ يُرَدُّوْنَ اِلٰٓى اَشَدِّ الْعَذَابِ ۭ وَمَا اللّٰهُ بِغَافِلٍ عَمَّا
تَعْمَلُوْنَ ﴿٨٥﴾ اُولٰۗىِٕكَ الَّذِيْنَ اشْتَرَوُا الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا بِالْاٰخِرَةِ ۡ
فَلَا يُخَفَّفُ عَنْهُمُ الْعَذَابُ وَلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ ﴿٨٦﴾ ع وَ
لَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ وَقَفَّيْنَا مِنْۢ بَعْدِهٖ بِالرُّسُلِ ۡ

---

کر نہ مُسلمانن ہندِ ہ ذریعہ وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ يُرَدُّوْنَ اِلٰٓى اَشَدِّ الْعَذَابِ امہِ علاوہ گوکھ کہِ تمےٖ ین قیامتہ دوہہ بیہ تراونہ سخت عذابس اندر وَمَا اللّٰهُ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعْمَلُوْنَ اللہ تعالیٰ چھُنہ کینہہ بیخبر تہنز و تیچھ کامیو نشہِ اُولٰۗىِٕكَ الَّذِيْنَ اشْتَرَوُا الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا بِالْاٰخِرَةِ فَلَا يُخَفَّفُ عَنْهُمُ الْعَذَابُ وَلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ امہِ سزاُک وجہ چھوای زِہ تمِ لوکھ چھِ تمے تموسانین حُکمن ہنز مخالفت کرِتھ مولِ ہیُژ دنیاہچ حقیر زندگی آخرتچہ پائیدار زندگی بدل تمیک ذریعہ اطاعت و فرمانبرداری اوس۔ پس ییہ نہ کم کرنہ تہندس عذابس اندر۔ نہ ییہِ تمِن کانسہِ وکیلہ سندِہ طرفہ یا دوست رشتہ دارہ سندِہ طرفہ کُنہِ قسمہ مدد تہ یاری کرنہ وَ لَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ وَقَفَّيْنَا مِنْۢ بَعْدِهٖ بِالرُّسُلِ بیہ کراسہِ اے بنی اسرائیلو تہندِہ ہدایتہِ خیطرہ برونٹھ پیٹھے بڈِ بڈ سامانہِ مُہیّا۔ ساروِی برونٹھ کُر اسہِ موسیٰ علیہ السلامس کتابِ توریت عطا۔ تمِن پتہ سوزاسہِ اکھ اکھس پتہ بیہ پیغمبر۔ تمِ گئے حضرت یوشع علیہ السلام حضرت شمویل علیہ السلام۔ حضرتِ داوٗد علیہ السلام۔ حضرتِ سلیمان علیہ السلام۔ حضرت شعیب علیہ السلام۔ حضرتِ ارمینا علیہ السلام حضرت عزیر علیہ السلام۔ حضرت حزقیل علیہ السلام۔ حضرت الیاس علیہ السلام۔ حضرتِ الیسع علیہ السلام۔ حضرتِ یونس علیہ السلام۔ حضرتِ زکریا علیہ السلام۔ حضرتِ یحییٰ علیہ السلام۔ تمِ ساری پیغمبر آسِ لوکن نادِ دوان دین موسویس کُن وَاٰتَيْنَا عِيْسَى ابْنَ مَرْيَمَ الْبَيِّنٰتِ وَاَيَّدْنٰهُ بِرُوْحِ الْقُدُسِ امہِ خاندانہ کِس اخیرس کوراسہِ عطا حضرتِ عیسیٰ ابن مریمس نبوتچہ واضح دلیلہ انجیل تہ بیٔے بیٔے معجزات۔ بیہ کوراسہِ تمِن تائید پاک رُوح یعنی جبریل امینہ سندِہ سیت۔ سُو

وَاٰتَيْنَا عِيْسَى ابْنَ مَرْيَمَ الْبَيِّنٰتِ وَاَيَّدْنٰهُ بِرُوْحِ الْقُدُسِؕ اَفَكُلَّمَا جَآءَكُمْ رَسُوْلٌۢ بِمَا لَا تَهْوٰٓى اَنْفُسُكُمُ اسْتَكْبَرْتُمْۚ فَفَرِيْقًا كَذَّبْتُمْ وَفَرِيْقًا تَقْتُلُوْنَ ﴿٨٧﴾ وَقَالُوْا قُلُوْبُنَا غُلْفٌؕ بَلْ لَّعَنَهُمُ اللّٰهُ بِكُفْرِهِمْ فَقَلِيْلًا مَّا يُؤْمِنُوْنَ ﴿٨٨﴾

---

جبریل امین اوس پر تھ وقتہ تمن سیت سیت آسان باوجود آں رُود وَہ تُھہ سرکشی کران اَفَكُلَّمَا جَآءَكُمْ رَسُوْلٌۢ بِمَا لَا تَهْوٰٓى اَنْفُسُكُمُ اسْتَكْبَرْتُمْ کیاہ یہ چھنا تعجب کتھ کہِ یلہِ یلہِ کانہہ پیغمبراہ توہہ نشہِ آو تمِ احکام ہیتھ یم نہ تُہند دِل یژھان آس تمی کوروہ توہہ تمن پیغمبرن ہنز اطاعت قبول کرنہ نشہِ تکبر کرن شروع فَفَرِيْقًا كَذَّبْتُمْ وَفَرِيْقًا تَقْتُلُوْنَ تِوے آسوہ تمو پیغمبر واندرہ اڈین پیغمبرن نعوذ باللہ ابزیرِ زانان۔ اڈ پیغمبر کروو کھ شہید۔ رُوح القدس چھُو وننہ آمت قرآن وحدیث شریفس منز اکثر جبریل امینس۔ جبریل امینہ سُند موید آسُن حضرت عیسیٰ علیہ السلامن چھُووار یہو طریقو۔ اول ولاد تکہ وقتہ یمہ سیت تمن شیطانہ سندہِ اتھہ لاگنہ نشہِ حفاظت سپز۔ دوئم دیُت جبریلِ امینن حضرت مریمس پھوکھ۔ تمی سیت سپُد استقرار حملِ عیسوٰی تہندس شکمِ مُبارکس اندر توپتہ آسِ یہود بکثرت تہندِ دُشمن۔ جبریل امین اوس تمن سیت سیت حفاظتہ خیطرہ چنانچہ بالآخر آیِ تمِ آسمانس پیٹھ کھارنہ بذریعہ جبریل امین یہود وکور حضرت عیسیٰ سندس نبوتس انکار۔ بیہ کرِکھ حضرت یحییٰ بیہ حضرتِ ذکریاؑ شہید وَقَالُوْا قُلُوْبُنَا غُلْفٌ بَلْ لَّعَنَهُمُ اللّٰهُ بِكُفْرِهِمْ فَقَلِيْلًا مَّا يُؤْمِنُوْنَ بیہ چھِ ونان یُہود تھِکنہ پاٹھہ کہِ سانِ دِل چھِ تتھہ محفوظ کہ تمن پیٹھہ ہکنہ مخالف کانہہ دین اثری کرِتھ۔ یعنے اَسِ چھِہ پنہ نسِ دینس پیٹھہ پختہ تہ مضبوط۔ اللہ تعالیٰ چھُو تہندِ س یہ کتھ وننہ نس رَد کران۔ فرماوان چھُو یہ یہنز پوختہ گی دینس پیٹھ چھنہ۔ بلکہ چھِ اللہ تعالیٰ اَن تمن لعنت کرمژ تہندہِ کفرہ سببہ تمی چھِہ تمِ دین حقہ اسلامہ نشہِ دُور ژلان تہ منسوخ دینس پیٹھہ قائم روزان پس سیٹھاہ کم چھُو تہند ایمان سُو کم ایمان قابلِ قبول ہکنہ آسِتھ لہٰذا چھِہ تم بدستور کافر وَلَمَّا جَآءَهُمْ كِتٰبٌ مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ مُصَدِّقٌ لِّمَا مَعَهُمْ

وَلَمَّا جَآءَهُمْ كِتٰبٌ مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ مُصَدِّقٌ لِّمَا مَعَهُمْ ۙ وَكَانُوْا مِنْ قَبْلُ يَسْتَفْتِحُوْنَ عَلَى الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ۚ فَلَمَّا جَآءَهُمْ مَّا عَرَفُوْا كَفَرُوْا بِهٖ ۫ فَلَعْنَةُ اللّٰهِ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ ﴿۸۹﴾ بِئْسَمَا اشْتَرَوْا بِهٖٓ اَنْفُسَهُمْ اَنْ يَّكْفُرُوْا بِمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ بَغْيًا اَنْ يُّنَزِّلَ اللّٰهُ مِنْ فَضْلِهٖ عَلٰى مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ ۚ

---

تو پتہ یلہِ تِمن نش سو کتاب واژ خدایہ سندِہ طرفہ یوسہِ کتاب تتھ کتابہ تہِ آس تصدیق کران یوسہ برونٹھے تِمن نش آس یعنی تورایت وَكَانُوْا مِنْ قَبْلُ يَسْتَفْتِحُوْنَ عَلَى الَّذِيْنَ كَفَرُوْا حالانکہِ تِم آس امہ برونٹھہ فتح و نصرت منگان خدایس کافرن تہ عربہ کین مُشرکین پیٹھہ۔ یلہِ تِم یمن پیٹھہ غالِب سپدان آسِ۔ چنانچہ تِمہِ وقتہ آسِ دُعا کران اَللّٰهُمَّ ابْعَثْ هٰذَا النَّبِيَّ الَّذِيْ نَجِدُهٗ مَكْتُوْبًا فِي التَّوْرَاةِ عِنْدَنَا حَتّٰى نُعَذِّبَ الْمُشْرِكِيْنَ وَنُقَاتِلَهُمْ یعنے یا اللہ سوزتن یہ پیغمبر یَسند نعت تہ صِفت چھہِ اَسہِ پران توراتس اندر۔ تاکہ تِمن سیت اتفاق کرِتھ کرہ ہوٲسِ یکہ وٹہ کافرن سیت جنگ۔ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان فَلَمَّا جَآءَهُمْ مَّا عَرَفُوْا كَفَرُوْا بِهٖ پس یلہِ آو تِمن نِش سُو صاحب یس تِم پرزہ ناوان آس صِفتو سیت تسِ صاحبس کورُکھ انکار عمداً او قصداً اکیازہ اکھ اوس یمن تِمن پیغمبرن انکار کُرن عاد تھی۔ دوئیم اوس یِمن گُمانہ کہِ پیغمبر آخر الزّمان آسہِ بنی اسرائیل قومہ منزہ۔ خداین کوریہندس خیالس بدل۔ تمی گو یمن امسِ پیغمبر برحقہ سُند حسد تہ عناد فَلَعْنَةُ اللّٰهِ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ پس لعنت بوین یمن کافِرن یعنی یُہودن پیٹھہ یِمَو پزسِ انکار کور دیدہ و دانستہ بِئْسَمَا اشْتَرَوْا بِهٖٓ اَنْفُسَهُمْ اَنْ يَّكْفُرُوْا بِمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ بَغْيًا اَنْ يُّنَزِّلَ اللّٰهُ مِنْ فَضْلِهٖ عَلٰى مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ سُو حالت چھہ سیٹھاہ خراب تہ یتھ یوسہ یِمو اختیار کُرتھ پتہِ گُمانہ پنہ نین پان تِم آخرتکہِ عذابہ نشہِ موکلاون یژھان چھُو۔ سہ حالت گیہِ کفر و انکار کرن تتھ چیزس یُس اللہ تعالیٰ اَن اَکس پیغمبر برحقس پیٹھہ نازِل فرموو یعنی قرآن مجید۔ سُو انکار تہِ چھہِ کران تِم محض سرکشی تہ ضدِ کرنکہِ سببہ کہ اللہ تعالیٰ کیاہ چھُو نازِل کران پنُن فضل پنہ نیو بند

فَبَآءُوْ بِغَضَبٍ عَلٰى غَضَبٍ ؕ وَلِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ ۝۹۰ وَاِذَا قِيْلَ لَهُمْ اٰمِنُوْا بِمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ قَالُوْا نُؤْمِنُ بِمَآ اُنْزِلَ عَلَيْنَا وَيَكْفُرُوْنَ بِمَا وَرَآءَهٗ ۗ وَهُوَ الْحَقُّ مُصَدِّقًا لِّمَا مَعَهُمْ ؕ قُلْ فَلِمَ تَقْتُلُوْنَ اَنْۢبِيَآءَ اللّٰهِ مِنْ قَبْلُ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ۝۹۱ وَلَقَدْ جَآءَكُمْ

---

واندرہ یَس بندس پیٹھ یڑھان چھُو۔ یعنی حضرت محمدس پیٹھ صلی اللہ علیہ وسلم۔ امہِ حسدو سرکشی سببہ فَبَآءُوْ بِغَضَبٍ عَلٰى غَضَبٍ پس آے زیٖتھہ یم یُہوداکس بیزاری پیٹھہ بیاکھ بیزاری۔ انکار نبوتِ حضرتِ عیسیٰ علیہ السلام کرنہ سببہ اکھہ بیزاری۔ انکار حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلم کرنہ سببہ بیاکھہ بیزاری یا کفرہ سببہ اکھہ بیزاری حسدہ سببہ بیاکھ بیزاری وَلِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ یمن کافِرن آسہ آخر تس اندر سُوی عذاب ییتھہ اندر ذلت تہ خواری آسہ۔ امہ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان یمن یہودن ہندہ کفر حسدچ دلیل۔ وَاِذَا قِيْلَ لَهُمْ اٰمِنُوْا بِمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ قَالُوْا نُؤْمِنُ بِمَآ اُنْزِلَ عَلَيْنَا وَيَكْفُرُوْنَ بِمَا وَرَآءَهٗ یلہِ تمِن یُہودن وننہ چھُویوان کہ تُہہِ انِوا ایمان تمِن سارنی کتابن پیٹھہ یمہ کتابہ اللہ تعالیٰ ان نازل کرِہ وار یہن پیغمبرن پیٹھہ تمہِ ساتہ چھہِ دپان اَس کرو پڑھہ تتھہ کتابہِ یوسہ اسہِ پیٹھہ بواسطہ حضرتِ موسیٰ علیہ السلام نازِل کرنہ آیہِ یعنی توراتس تمہِ علاوہ، یمہ کتابہ چھہ تمِن چھہِ کران اِنکار۔ یعنی انجیلس تہ قرآنِ مجیدس۔ تمِن دوشونِ چھہِ کران تم انکار وَهُوَ الْحَقُّ مُصَدِّقًا لِّمَا مَعَهُمْ حالانکہ تمہ کتابہ تہِ چھہ درذاتِ خود پزہ اللہ تعالیٰ نے نازِل کرِمژہ۔ تمہِ علاوہ چھہ تمہِ دوشوِے کتابہ تصدیق کران تتھہ کتابہِ یُوسہ تمِن نشہِ چھہ یعنی توراتس قُلْ فَلِمَ تَقْتُلُوْنَ اَنْۢبِيَآءَ اللّٰهِ مِنْ قَبْلُ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ تُہہ فرماویو کھ یا رسول اللہ تِلہ کیازہ آسِو کھ تُہہ قتل کران خدایہِ سندِ پیغمبراز کہ برونٹھہ ہر گاہ تُہہ توراتس ایمان انہ ونِ تہ پڑھ کرہ ون آسہو۔ لہٰذا چھُنہ تہندِس کافر آسنس اندر شکھی کانہہ۔ تمہِ علاوہ وَلَقَدْ جَآءَكُمْ مُّوْسٰى بِالْبَيِّنٰتِ ثُمَّ اتَّخَذْتُمُ الْعِجْلَ مِنْۢ

مُّوْسٰى بِالْبَيِّنٰتِ ثُمَّ اتَّخَذْتُمُ الْعِجْلَ مِنْۢ بَعْدِهٖ وَاَنْتُمْ ظٰلِمُوْنَ ﴿٩٢﴾ وَاِذْ اَخَذْنَا مِيْثَاقَكُمْ وَرَفَعْنَا فَوْقَكُمُ الطُّوْرَ ؕ خُذُوْا مَآ اٰتَيْنٰكُمْ بِقُوَّةٍ وَّاسْمَعُوْا ؕ قَالُوْا سَمِعْنَا وَعَصَيْنَا ۗ وَاُشْرِبُوْا فِىْ قُلُوْبِهِمُ الْعِجْلَ بِكُفْرِهِمْ ؕ قُلْ بِئْسَمَا يَاْمُرُكُمْ بِهٖٓ اِيْمَانُكُمْ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ﴿٩٣﴾

---

بَعْدِهٖ وَاَنْتُمْ ظٰلِمُوْنَ بيه آو بيشڪ توهه نشِ حضرتِ موسىٰ عليه السلام توحيد ورسالتجِهِ صاف صاف دليله هيتهه۔ سُوگو عصا۔ يد بيضا۔ درياوس شق ڪرِ تهه اپُور ترن۔ تمِ معجزات آسِ تهندس نبي برحق آسنس پيٹهه دلالت ڪران۔ مگر تو ته رَٹُونَ توهه گوساله يعني ووڑهه سونه سُند پُنِ معبُود حضرتِ موسىٰ سندِهِ ڪوهِ طورس پيٹهه گڑهنه پته آسوِ تهِه ووڑهه معبود تجويز ڪرنس اندر ظلم وستم ڪرهِ وُن تُهه پڑهوه دعوىٰ ڪران توراتس پيٹهه ايمانڪ مگر يه ڪام چهه صريح شِرڪ۔ يمه سيت لازم پڑهويِ ان بصراحت حضرت موسىٰ اَس تڪذيب ڪرُن۔ لهذا اَڪهه پاٹهه هکن تمِ باايمان آسِتهه وَاِذْ اَخَذْنَا مِيْثَاقَكُمْ وَرَفَعْنَا فَوْقَكُمُ الطُّوْرَ بيه پڑهو سُووقت تهِ ژيتس پاونس لايق يلهِ اسهِ توهه نشه عهد وپيمان رٹهه ڪوه طور تجوسُي تهاويواسهِ تهندئِن ڪلن پيٹهه پهَنِ۔ تو پته فرماويواسهِ توهه حُڪم۔ خُذُوْا مَآ اٰتَيْنٰكُمْ بِقُوَّةٍ جلد ڪرِ و قبول توراتڪ تمِ احڪام يمِ اَسهِ توهِهِ دتِ عمل ڪرنه خيطره همّت وپختگي سان نته تراووَ اَسِ يه ڪوهِ طُور توهِه پيٹهه وَّاسْمَعُوْا بيه بوزو احڪام واره دِلَو سيت۔ تمه پته ڪور تمو ڪوهِ طوره پيٹهه پينه ڪهِ خوفه قَالُوْا سَمِعْنَا وَ عَصَيْنَا دوپڇهه بوزاسهِ قبول ڪورنه اسهِ۔ بوزاسهِ ڪنَو سيت مگر عملاً ڪرواَسِ نافرماني۔ اَمهِ تُهنزِه بد عملي هُند وجه اوس ڪه وَاُشْرِبُوْا فِىْ قُلُوْبِهِمُ الْعِجْلَ تهندِ دِل آسِ چاونه آمتِ وڑهِهِ سُند ته وُڑِهس پرستش ڪرنڪ محبّت بِكُفْرِهِمْ تهندهِ برونٹهِهِ ڪُفره سبه۔ يله تمِو درياوه نشهِ عُبور ڪرِ تهه اپور واتهه اڪهه بُت پرست قوم وڇهتهه درخواست ڪور حضرتِ موسىٰ اس اجْعَلْ لَّنَآ اِلٰهًا كَمَا لَهُمْ اٰلِهَةٌ سانه خيطره ڪريون حض مقرر اڪهه مجسّم معبُود اه يتهه پاٹهِ يمن لوڪن چهه قُلْ بِئْسَمَا يَاْمُرُكُمْ بِهٖٓ

قُلْ اِنْ كَانَتْ لَكُمُ الدَّارُ الْاٰخِرَةُ عِنْدَ اللّٰهِ خَالِصَةً مِّنْ دُوْنِ النَّاسِ فَتَمَنَّوُا الْمَوْتَ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿۹۴﴾ وَلَنْ يَّتَمَنَّوْهُ اَبَدًۢا بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْهِمْ ؕ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِالظّٰلِمِيْنَ ﴿۹۵﴾ وَلَتَجِدَنَّهُمْ اَحْرَصَ النَّاسِ عَلٰى حَيٰوةٍ ۚۛ وَمِنَ الَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا ۚۛ يَوَدُّ اَحَدُهُمْ لَوْ يُعَمَّرُ اَلْفَ سَنَةٍ ۚ

---

اِيْمَانُكُمْ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ تهه فرماوو تمن يهودن تمن ايمانگ دعوىٰ ڇُھوا ے يهودو وڇھوتُهه تهندِ ايمانن کمه کمه کفرڇه کامه ڇھوه تُهه کره ناوِمت يمه کامه کاژاه ڀڇه ڇھه. تمن کامين هُند تجويز توهه کورمُت ڇھو تهندِ ايمانن اگرتُهه پنه خياله باايمان ڇھوه. بعض يهود آسِ دعوىٰ کران زهِ آخرتڇه نعمت ڇھه خالصِ ساني خيطره. الله تعالىٰ ان فرموو تهند يه دعوے ڇھو باطِل. فرموون قُلْ اِنْ كَانَتْ لَكُمُ الدَّارُ الْاٰخِرَةُ عِنْدَ اللّٰهِ خَالِصَةً مِّنْ دُوْنِ النَّاسِ فَتَمَنَّوُا الْمَوْتَ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ اے پيغمبر برحق تُهه فرماوِو تمن يهودن هرگاه تُهندِه وننه موجُب عالم آخِرت محض تهندى خيطره خاص ڇھو بيولوگو وراى پس کرتوتُهه موتُک تمنّا ڇھوے پزيارٲتهه دعوىٰ اس اندر. اَسِ ڇھهِ سيتي ونان که وَلَنْ يَّتَمَنَّوْهُ اَبَدًۢا بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْهِمْ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِالظّٰلِمِيْنَ تمِ يه دعوىٰ کره وَنِ يهُود کرن نه هرگز موتُک تمنّا کيازه تمن ڇھه خبرى تمن ڀڇھه کامين هُند سزا ڇھو تمنِ ضرور کھيون. لهذا اتهه پاٹھِ کرن تمِ موتُک تمنّا. الله تعالىٰ اس ڇھه پور خبر تمن ظالمنِ هندين حالاتن هنز وَلَتَجِدَنَّهُمْ اَحْرَصَ النَّاسِ عَلٰى حَيٰوةٍ تمِ لوکھ کياه کرن موتُک تمنّا البته لبيو کھ تمِ سارٮ لُوکو اندره يڑ حريص زندگى پٹھه وَمِنَ الَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا بيه لبُيو کھ تُهه تمِ مُشرکن هندهِ کھوته زياده طامع ته حريص زندگى هندِ يَوَدُّ اَحَدُهُمْ لَوْ يُعَمَّرُ اَلْفَ سَنَةٍ آرزو ته خواهش ڇھو کران تمو اندره پريتهه اکهاه هرگہے لتس وانس ته عمر ييه هَس دِنه اکھ ساس ورہ تمهِ سيت بچهِ هاسو عذابه نشهِ وَمَا هُوَ بِمُزَحْزِحِهٖ مِنَ الْعَذَابِ اَنْ يُّعَمَّرَ حالانکه لتس هيکه نه عذاب نشهِ دُور ٿھاوتھه ته بچاوِتھه زيٹھه عمر حاصل سپدنِ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِمَا يَعْمَلُوْنَ الله تعالىٰ

وَمَا هُوَ بِمُزَحْزِحِهٖ مِنَ الْعَذَابِ اَنْ يُّعَمَّرَ ؕ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِمَا يَعْمَلُوْنَ ﴿۹۶﴾ قُلْ مَنْ كَانَ عَدُوًّا لِّجِبْرِيْلَ فَاِنَّهٗ نَزَّلَهٗ عَلٰى قَلْبِكَ بِاِذْنِ اللّٰهِ مُصَدِّقًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيْهِ وَهُدًى وَّبُشْرٰى لِلْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۹۷﴾ مَنْ كَانَ عَدُوًّا لِّلّٰهِ وَمَلٰٓئِكَتِهٖ وَرُسُلِهٖ وَجِبْرِيْلَ وَمِيْكٰلَ فَاِنَّ اللّٰهَ عَدُوٌّ لِّلْكٰفِرِيْنَ ﴿۹۸﴾

---

چھُو پورو چھن دول تہنزہ سارے یچھ کامہِ یمن پیٹھ تمن عذاب کرنہ یِیہ۔ یہود آسِ ونان کہ جبریل امین چھُو وحی ہیتھ یوان بنی کریمس نشہِ صلی اللہ علیہ وسلم سُو چھُو سون دشمن ہر گاہ امس وراے بیہ کانہہ ملکھاہ وحی ہیتھ یوان آسہِ ہاتلہ انہ ہواسِ تہِ ایمان حضرت محمّدس صلی اللہ علیہ وسلم اللہ تعالیٰ چھُو تمنِ ردّ کران فرماوان چھُو قُلْ مَنْ كَانَ عَدُوًّا لِّجِبْرِيْلَ فرماوو حض یمن یارسول اللہ یُس اکھاہ جبریل امین سُند دشمن آسہِ آستن۔ اَتھ کتھِ چھُنہ کانہہ دخل قرآن مجید نہ مانہ نس سیت کیازہ فَاِنَّهٗ نَزَّلَهٗ عَلٰى قَلْبِكَ بِاِذْنِ اللّٰهِ پس بیشک جبریل امین دول یہ قرآن مجید تہ واتنوُن تُہندس دلس اندر خدایہ سندی حُکمہ۔ اتھ منز چھُنہ جبریل امینہ سُند کانہہ دخل۔ تمہِ علاوہ چھُو یہ قرآن مجید مُصَدِّقًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيْهِ تصدیق کران تمن آسمانی کتابن یمہِ امہِ برونٹھ نازِل سپز مژہ چھہ۔ اتھ ونس گُن کیاہ چھُو وچھُن پانہ قرآن مجیدس گُن یزہِ وُچھن تیٚجِ حقیقت چھہ کہ سُو چھُو وَهُدًى وَّبُشْرٰى لِلْمُؤْمِنِيْنَ رہنمائی کرہ ون ضروری مصلحتن گُن یمہِ سیت خیرِ دارین حاصِل سپدہ بیہ چھُو سُو خوشخبری دِوہ وُن باایمانن۔ آسمانی کتابن ہنز چھہ شان یہے آسان۔ بہر حال یہ قرآن مجید چھہ آسمانی کتاب قابلِ اتباع و پیروی جبریل امینہ سندِہ عداوتہ سبب یہ قرآن مجید نہ مانُن گیہ سخت حماقت پس رُود جبریل امینہ سندِہ عداوتک مسئلہ تتھہ متعلق چھُو قانون کہ مَنْ كَانَ عَدُوًّا لِّلّٰهِ وَمَلٰٓئِكَتِهٖ وَرُسُلِهٖ وَجِبْرِيْلَ وَمِيْكٰلَ فَاِنَّ اللّٰهَ عَدُوٌّ لِّلْكٰفِرِيْنَ یُس شخصاہ دشمن آسہِ خدایہ سُند بیہ تہندین ملائکن ہُند بیہ تہندین پیغمبرن ہُند بیہ جبریل امینہ سُند بیہ میکائلہ سِند اَدہ آستن پس پزپاٹھہ اللہ تعالیٰ تہِ چھُو دُشمن تتھین کافرن

وَلَقَدْ اَنْزَلْنَآ اِلَيْكَ اٰيٰتٍۭ بَيِّنٰتٍ ۚ وَمَا يَكْفُرُ بِهَآ اِلَّا
الْفٰسِقُوْنَ ﴿٩٩﴾ اَوَكُلَّمَا عٰهَدُوْا عَهْدًا نَّبَذَهٗ فَرِيْقٌ مِّنْهُمْ ۭ
بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿١٠٠﴾ وَلَمَّا جَاۗءَهُمْ رَسُوْلٌ مِّنْ عِنْدِ
اللّٰهِ مُصَدِّقٌ لِّمَا مَعَهُمْ نَبَذَ فَرِيْقٌ مِّنَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا

---

ہُند یمِ تہندِ ین یمن خاص بندن ہندِ دشمن آسن یہود آسِ وتان حضرت نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم توہہ پِٹھ کونہ چھِ ترٛژھ کانہہ واضح دلیلاہ نازِل سپدان تیٚج اَسہِ کانہہ زان پچھان آسہِ ہا تمکسی جوابس اندر چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان کہ اَسہِ دلیلہِ ہنز کیاہ کھمی چھہ وَلَقَدْ اَنْزَلْنَآ اِلَيْكَ اٰيٰتٍۭ بَيِّنٰتٍ ۚ وَمَا يَكْفُرُ بِهَآ اِلَّا الْفٰسِقُوْنَ بیشک اسہِ کرہ نازِل توہہ پیٹھ یارسول اللہ واریاہ واضح دلیلہ یمن دلیلن ہنز یمن یہُودن پُور خبر چھہ۔ مگر یم چھنہ تمن دلیلن انکار کران بے خبری سببہ۔ بلکہ چھہ یم انکار کران عدُول حکُمی ہُند عادت آسنہ سببہ کیازہ قاعدہ کُلیہ چھُو کہ انکار چھونہ کران واضح دلیلن مگر سُوی یُس عدول حکمی ہند عادت آسہِ تہِ گئے فاسق۔ بعضے یہُودن یلہِ سُو عہد ژٹس آوپاونہ یُس عہد تمن نشہِ ہینہ اوس آمُت تورالس اندر پیغمبر آخرالزمانس پیٹھ ایمان انہ نُس تہ پڑھ کرہ نس مُتعلق۔ تموٚ کروتھ عہدہ سی کلیتہً انکار۔ امہِ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ اتھ متعلق ارشاد فرماوان اَوَكُلَّمَا عٰهَدُوْا عَهْدًا نَّبَذَهٗ فَرِيْقٌ مِّنْهُمْ بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ کیاہ یہ عہد ہینس چھا تمن انکار۔ تہنز حالت چھہ یمہ فتیچ کہِ تموٚ چھُونہ تسلیم کرنہ آمُت عہد زاہ تہ پُورہ کورمُت۔ بلکہ یلہِ یلہِ تموٚ دینس متعلق کانہہ عہد کورمُت چھُو سُو چھُو ضرور تموٚ اَندرہ اکِ جماعتن پھُٹہ رودمُت۔ بلکہ تعمیل وایفای عہد نہ کرہ وَاندرہ نیر اکثر تمِ یمن نہ تمہِ عہُدک یقینی چھُو تعمیل وایفای عہد نہ کُرن اوس فسقی۔ مگر تتھہ عہدس کلہ پتھے اِنکار کُرن گو صریح کفر یتنس فرموٗدکھ کہ اکی جماعتن یہودو اَندرہ پھُٹہ رووسُو عہد۔ کیازہ بعضے یہُود رُودِ قایم تتھہ عہدس پیٹھ بدستوُر۔ چنانچہ تموٚ اوٚن ایمان حضرتِ رسول کریمس صلی اللہ علیہ وسلم۔ اَمہِ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان تہندِ اَسہِ خاص عہد شکنی ہنز ذکر وَلَمَّا جَاۗءَهُمْ رَسُوْلٌ مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ مُصَدِّقٌ لِّمَا مَعَهُمْ

الْكِتٰبَ ۙ كِتٰبَ اللّٰهِ وَرَآءَ ظُهُوْرِهِمْ كَاَنَّهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۱۰۱﴾
وَاتَّبَعُوْا مَا تَتْلُوا الشَّيٰطِيْنُ عَلٰى مُلْكِ سُلَيْمٰنَ ۚ وَمَا
كَفَرَ سُلَيْمٰنُ وَلٰكِنَّ الشَّيٰطِيْنَ كَفَرُوْا يُعَلِّمُوْنَ النَّاسَ
السِّحْرَ ۗ وَمَآ اُنْزِلَ عَلَى الْمَلَكَيْنِ بِبَابِلَ هَارُوْتَ وَمَارُوْتَ ؕ

---

نَبَذَ فَرِيْقٌ مِّنَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ كِتٰبَ اللّٰهِ وَرَآءَ ظُهُوْرِهِمْ كَاَنَّهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ بیہ یلہِ آوَ تمنِ
ئن اکہ عظیم الشان تہ جلیلُ القدر پیٖغمبر اہ خدایہ سندِہ طرفہ یعنے حضرت محمّد عربی صلی اللہ علیہ وسلم
یُس صاحب پیٖغمبر برحق آسِتھ تصدیق تہ کران اوس تتھ کتابہ یوسہٕ تمنِ نش موجود آس یعنی توراتس
کیازِہ تتھ کتابہِ منز آس تہندِہ نبوتُچ خبر۔ تتھ کُن نظر کرِتھ اوس تمنِ نسبت ایمان اَنُن تہ پڑھ کرنِ عین
توراتس پیٹھ عمل کرُن۔ توراتیچہ کتاب اللہ آسنس آسِ تم تہ پڑھ کران۔ تتھ آسِ تمِ خدایہ سنز
کتاب مانان تہ تسلیم کران مگر باوجود اَتھ ترٛوواہل کتابو یعنے یہود واندرٕ اک جماعتن یہ کتابُ اللہ یعنی
توریت پس پُشت یتھ پاٹھہِ کہ زن نہ تمن امہِ کتاب اللہ آسنٕچ خبری آس تمہِ بدل کورُکھ بیاکھ چیز اہ
اختیار وَاتَّبَعُوْا مَا تَتْلُوا الشَّيٰطِيْنُ عَلٰى مُلْكِ سُلَيْمٰنَ وَمَا كَفَرَ سُلَيْمٰنُ وَلٰكِنَّ الشَّيٰطِيْنَ كَفَرُوْا
يُعَلِّمُوْنَ النَّاسَ السِّحْرَ تمہِ آیہ کریمکہ ترجمہ و تشریح بیان کرنہ برونٹھ بُوزِو تِہہ یہ گِتھ کہ
برونٹھمہ وقتہ اوس دنیاءس اندر خاص کرِتھ شہرِ بابلس اندر سحُرک تہ جادُیک سیٹھاہ زور و شور تہ چرچہ
جادک تہ سحرکِ عجائبات وچھتھ اوس جاہل لوکن اشتباہ تہ ترٛدُد سُپد مت کہ حضرتِ انبیائن ہندین
معجزاتن ہنز حقیقت تہ ماآسہِ امی قسمٕچ چنانچہ بعضی ساحرن آس لُوکھ مقدّس نظرِہ وچھتھ واجب
الاتباع زانان بیہ آسِ بعضی لُوکھ سحرس رٕژ کام زانتھِ سُو ہیچھنٕچ کوشش کرِتھ تتھ پیٹھ عمل کرنِ
یژھان۔ اللہ تعالیٰ ان یوژھ یہ غلط خیال گژھہِ لُوکن نشہِ دُور سپدُن۔ تمِ سوزِ شہر بابلس اندر زہ ملک
اَکِس اوس ناوہاروت بیس اوس ناد ماروت یمی کامہِ خیطرٕ کہِ تمِ تارن لوکن فکرِہ سحرچ حقیقت تانیکہ تمِ
روزن سحرس پیٹھ عمل کرنہ نشہِ پتھ بیہ گژن نہ ساحرن ہنز پیروی تہ متابعت اللہ تعالیٰ چھو فرماوان

وَمَا يُعَلِّمٰنِ مِنْ اَحَدٍ حَتّٰى يَقُوْلَآ اِنَّمَا نَحْنُ فِتْنَةٌ فَلَا تَكْفُرْ ؕ فَيَتَعَلَّمُوْنَ مِنْهُمَا مَا يُفَرِّقُوْنَ بِهٖ بَيْنَ الْمَرْءِ وَ زَوْجِهٖ ؕ وَمَا هُمْ بِضَآرِّيْنَ بِهٖ مِنْ اَحَدٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ ؕ وَيَتَعَلَّمُوْنَ مَا يَضُرُّهُمْ وَلَا يَنْفَعُهُمْ ؕ وَلَقَدْ عَلِمُوْا

---

کہِ بیہِ چھہِ یہُود تتھہ بے عقل کہ تموِ کرنہ خدایہ سنزہ کتابہ ہنز متابعت بلکہِ کر تمو متابعت تمہِ سحرچ یُمیک چرچہ کران آس شیطان یعنے خبیث جن حضرت سلیمانہ سندِس عہد حکومتس اندر بیہِ آس بعضے بیوقوف حضرتِ سلیمانس پیٹھہ سحر زانہ ٹُک خیال کران یُس محض غلط تہٕ لغواوس کیازہ سحرک اعتقاد تھاوُن یا تتھہ پیٹھہ عمل کرن چھُو بالکل کُفر حضرتِ سلیمان علیہ السلامن چھنہ زانہہ تہِ نعوذ باللہ کُفرچ کانہہ کوماہ کرمژ لیکن شیطان یعنی خبیث جن آسِ بے شک کُفر چہِ کتھہ، کفرچہِ کامہ یعنے سحر کران۔ پانہ سوکومہ کرِتھہ آسِ لوکن تہٕ سِحر ہیچھہ ناوان سوی سحر ووت از تام۔ تمی سحرچ چھہِ تمِ یہُود پیروی کران وَمَآ اُنْزِلَ عَلَى الْمَلَكَيْنِ بِبَابِلَ هَارُوْتَ وَمَارُوْتَ بیہِ چھہِ تمِ یہُود تمہِ سحرچ پیروی کران یُس سحر دون ملکن پیٹھہ نازِل کرنہ آو اکھِ خاص حکمتہ موکھ یم شہر بابلس اندر روزان آسِ یمن دون ملکن ناو اوس ہاروت وماروت وَمَا يُعَلِّمٰنِ مِنْ اَحَدٍ حَتّٰى يَقُوْلَآ اِنَّمَا نَحْنُ فِتْنَةٌ فَلَا تَكْفُرْ تمِ زہ ملک آسِ نہ سُو سِحر ہیچھہ ناوان کانسہِ اَکس یوت تانِ نہ احتیاطاً گوڈہ تس ونان آس سون وجود تہٕ چھُو مخلوقن ہندہِ خاطرہ آزمائش تہٕ امتحان خدایہ سندِہ طرفہ یُتھہ لوکن متعلق سانہِ ذریعہ سحرس پیٹھہ مطلع سپدت ظاہر سپدہِ کہِ کُہہ چھُو تتھہ اندر پھسِتھہ گُمراہ سپدان۔ کُہہ چھُو پنن پان بچاوان۔ لہٰذا ایتھہ ژہ سِحرس پیٹھہ مطلع سپدِ تھہ کافِر سپدٕ کھ یعنی سِحرس اندر پھسکھہ فَيَتَعَلَّمُوْنَ مِنْهُمَا مَا يُفَرِّقُوْنَ بِهٖ بَيْنَ الْمَرْءِ وَ زَوْجِهٖ پس آس بعضی لُوکھ ہیچھان تمنِ ملکن نشہِ تمہِ قسمُک سحر یمہ سیت تمِ دون باژن اندر جُدائی کران آسِ وَمَا هُمْ بِضَآرِّيْنَ بِهٖ مِنْ اَحَدٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ یم ساحر آسِنہ ہیکان کانسہِ اَکس کُنہ قسمہ ضرر واتناوتھ امہِ سحرہ سیت مگر خدایہ سندی حکم تقدیرہ سیت۔ یعنی یمسندہِ حقہ تمِ کانہہ ضرر تکلیفاہ

لِمَنِ اشۡتَرٰىهُ مَالَهٗ فِى الۡاٰخِرَةِ مِنۡ خَلَاقٍ ۟ وَلَبِئۡسَ مَاشَرَوۡا بِهٖۤ اَنۡفُسَهُمۡ ؕ لَوۡ كَانُوۡا يَعۡلَمُوۡنَ ﴿١٠٢﴾ وَلَوۡ اَنَّهُمۡ اٰمَنُوۡا وَاتَّقَوۡا لَمَثُوۡبَةٌ مِّنۡ عِنۡدِ اللّٰهِ خَيۡرٌ ؕ لَوۡ كَانُوۡا يَعۡلَمُوۡنَ ﴿١٠٣﴾ ع يٰۤاَيُّهَا الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا لَا تَقُوۡلُوۡا رَاعِنَا وَ

---

یِژھمت آسہِ ہا۔ وَيَتَعَلَّمُوۡنَ مَا يَضُرُّهُمۡ وَلَا يَنۡفَعُهُمۡ بیہِ آسِ ہیچھان تم تِمہ قسمک سحر یُس تمنِ گناہ آسنہ موکھہ مفر اوس۔ بیہِ اوسنہ تہندِہ خیطرہ کانہہ خاص نفع واتناوہ ون چیزاہ۔ تمِ یہُود چھ تتھہ سحرس متابعت کرِتھہ سخت نقصانس تہ ضررس اندر گرفتار۔ یہ کتھہ چھنہ اَسی یوت وَنان۔ وَلَقَدۡ عَلِمُوۡا لَمَنِ اشۡتَرٰىهُ مَالَهٗ فِى الۡاٰخِرَةِ مِنۡ خَلَاقٍ بلکہ یہ تحقیق تمِ یہُود تہِ چھہِ یہ کتھہ ضرور زانان کہ ییس شخص کتابُ اللٰہس بدل سِحر چھُو اختیار کران تس شخصس چھُونہ آخرِتس اندر کانہہ حِصہّ باقی روزان وَلَبِئۡسَ مَاشَرَوۡا بِهٖۤ اَنۡفُسَهُمۡ لَوۡ كَانُوۡا يَعۡلَمُوۡنَ بیہِ کوتاہ ییچھہ چھُو سُو چیز یعنی سحر تہ کُفر یتھہ تموِ کنِ تہ فروخت کرِ پنن پان کاش تمِے زانان آسہن وَلَوۡ اَنَّهُمۡ اٰمَنُوۡا وَاتَّقَوۡا لَمَثُوۡبَةٌ مِّنۡ عِنۡدِ اللّٰهِ خَيۡرٌ لَوۡ كَانُوۡا يَعۡلَمُوۡنَ بیہِ ہر گاہ تمِ لُوکھ کُفرہ تہ سحرہ بدل ایمان انہ ہن۔ پرہیزگاری تہ تقویٰ اختیار کرہ ہن تتھہ صورتس اندر اُوس خدایہ سُند اجر تہ ثواب تہ معاوضہ سیٹھاہ بہتر امہِ کُفرہ تہ سحرہ نشہِ کاش تمِے کینہہ زانان آسہن۔ بعضی یہُودَو کور حضرتِ رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلم سنزہ مجلسہِ اندر محض شرارتہ کنِ لفظ راعنا دُن شروع۔ یہ لفظ چھُو عربی تہ عبرانی تہ۔ عربی لفظ آسِتھہ چھُو امیک معنی سون کرتوحض رعایت۔ یعنی یہ مضمون یُس تہہ بیان آسوہ کران سُو فرماوِ توحض بیہِ دوبارہ۔ اسہِ حضِ تورنہ یہِ وارہ فکرِہ عبرانی لفظ آسِتھہ چھُو امُیک معنی ییچھہ تہ خراب۔ تمِ یہُود آسِ تمِی معنیہ تمنِ برونٹھہ کنہِ یہ لفظ استعمال کران عبرانی پاٹھہ چھُو امہِ لفظک معنی اے احمق۔ عرب دان صحابہ صیب آسِ نہ اتھہ یہُودن ہندِس شرارتس واقِف سپدِ مت تمِ تہ آسِ یہ لفظ امیک رُت معنی بوزِت استعمال کران۔ حضرتِ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلمس کن خطاب کرِتھہ یہ لفظ استعمال کران تمہِ سیت آس تمنِ

قُولُوا انْظُرْنَا وَاسْمَعُوْا ؕ وَلِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿۱۰۴﴾
مَا يَوَدُّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ وَلَا الْمُشْرِكِيْنَ
اَنْ يُّنَزَّلَ عَلَيْكُمْ مِّنْ خَيْرٍ مِّنْ رَّبِّكُمْ ؕ وَاللّٰهُ يَخْتَصُّ
بِرَحْمَتِهٖ مَنْ يَّشَآءُ ؕ وَاللّٰهُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِيْمِ ﴿۱۰۵﴾

---

شرارت کره نچ بيه هن گنجائش ته موقعه حاصل سپدان الله تعالیٰ ان تهاونه تمن اچ گنجائیش کُنهِ قسمه باقی۔ تموِ فرموو مسلمانن يه لفظ استعمال کرنه نشهِ ممانعت يَاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَقُوْلُوْا رَاعِنَا وَقُوْلُوا انْظُرْنَا اے باايمانو تُهه مه آسِو وَنان لفظ راعنا بلکه آسِو ونان يله توهه امهِ قسمک مطلب ظاهر کرنچ ضرورت پيوان آسهِ انْظُرْنَا امهِ لفظک معنی تهِ چهو سانسِ حائس کُن کرِ توهز نظر۔ اسهِ نه حض تورنه پوره پاڅه فکرِه تهُند کلام شريف وَاسْمَعُوْا بيهِ بوزِواے باايمانووارہ يه حکم ياد تهاوو که وَلِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابٌ اَلِيْمٌ يمن کافرن هنده خيطره چهوکُڈر عذاب۔ پيغمبر برحقس نسبت امه قسمچ گستاخی کُرن اکه پانه بيه کره ناونِ دونکه دِته بين لُوکن اتهه تهِ امهِ قسمچ گستاخی نپنهه چالاکی سيت۔ بعضی يُهودی آسِ بعضے مسلمانن قسم هاوِتهه ونان که اسِ چهِ تهُندِ دلی خيره خواه۔ بيهِ چهِ اَسِ يژهان که تو هه گژهِ دينی احکام خدايِه سندِه طرفه سانه خوته رتِ عنايت سپدنِ تيمِ احکام اَسِ تهِ قبول کرهو۔ مگر کياه بنهِ تهُندِ دينی احکام چهنهِ سانيو دينی احکاموخوته زياده رتِ کينهه تهِ الله تعالیٰ چهو يهندس اتهه خير خواهی هندس دعوىٰ اَس ترديد و تکذيب کران فرماوان چهو مَا يَوَدُّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ وَلَا الْمُشْرِكِيْنَ اَنْ يُّنَزَّلَ عَلَيْكُمْ مِّنْ خَيْرٍ مِّنْ رَّبِّكُمْ هرگز چهونه پسند کران کافر لوکهه اده تمِ اهلِ کتابو اندره آسِتن يا مشرکو اندره آسِتن يتهه کَتهِ که تُهندس پروردگار سندِه طرفه کياه سپدِهِ توهه پيڅه نازل کانهه رژ کتهاه۔ يعنی تمِ چهنِهِ هيکان زَرتهۓ توهه کانهه خير واتُن حسد و عداوته کن بلِ چهوه تمِ زيوهِ سيت ظاهر کران۔ دل چُهکهه تهندِه حسده سيت برِ تهه۔ مگر تهندِهِ امهِ حسده سيت بنهِ نه کينهه وَاللّٰهُ يَخْتَصُّ بِرَحْمَتِهٖ مَنْ يَّشَآءُ کيازِه الله تعالیٰ چهو پننهِ رحمت و عنايه سيت خاص کران يَس يژهان چهو تس

مَا نَنْسَخْ مِنْ اٰيَةٍ اَوْ نُنْسِهَا نَاْتِ بِخَيْرٍ مِّنْهَآ اَوْ مِثْلِهَا ۗ اَلَمْ تَعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿١٠٦﴾ اَلَمْ تَعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ وَمَا لَكُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ مِنْ وَّلِيٍّ وَّلَا نَصِيْرٍ ﴿١٠٧﴾ اَمْ تُرِيْدُوْنَ اَنْ تَسْـَٔلُوْا رَسُوْلَكُمْ كَمَا

---

وَاللّٰهُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِيْمِ  الله تعالىٰ ڇھو بوڏ فضل عطا ڪرڻ وارو. يهُود ڪريو وا اعتراض قبلڪ حُڪم بدلڻ پيٺھ. تھي پاڻھ ڪريو بعضي مشرڪو ته اعتراض بعضي حُڪمن هندِس منسوخ سپدلڻ پيٺھ. تھه اعتراضس پيٺھ الله تعالىٰ ردّ فرماوان  مَا نَنْسَخْ مِنْ اٰيَةٍ اَوْ نُنْسِهَا نَاْتِ بِخَيْرٍ مِّنْهَآ اَوْ مِثْلِهَا  اسي ڪُنهِ آيه ڪريمڪ حُڪم منسوخ ڪران ڇھهِ. يا ڇهن سُو آيه ڪريم ذهنو نشهِ مشروان يه ڇهنه اعتراض ڪره ڇ ڪانهه محلي ڪيازِه تھه بدل ڇھهِ اَسِ تمهِ خو ته رُت ياتھه هيو بيا کھ حڪماه جاري ڪران. اتھه منزِ ته ڇھهَ آسان بجهِ بجهِ حُڪمٕ ته مصلحَت. اے اعتراض ڪره ونه شخصه اَلَمْ تَعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ڪيا ژه ڇھوي نامعلوم ڪه الله تعالىٰ ڇھو پرِيتھه چيزس پيٺھ قدرت ته وول. اَلَمْ تَعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ بيه ڇھي نا ژه معلوم ڪه الله تعالىٰ اَسي ڇھه خاص سلطنت آسمانن ته زمين هنز تس ڇھهِ ڪلّي اختيارات سارني ڪامين هندِ يلهِ نه تس اتھه قدرت و سلطنتس منز ڪانهه اکھاه شريڪ ته حِصه دار ڇھو. لهٰذا تمنِ مصلحتن هُند رعايت ڪرِ تھه دوِيُم حُڪم جاري ڪرنس اندر ڪُس اکھاه هيڪهِ تس مزاحمتِ ته ڳانگل ڪرِ تھه تس ڇھونه دوِيُم حُڪم جاري ڪرنس اندر ڪانهه پتھه رٹه وَن. نه ڇھوس ڪوڏ نيڪ حڪم بر قرار تھاونه نشِهِ ڪانهه اکھاه پتھه رٹه ڏن. يه ڪتھه تهِ بوز ژه واره ڪه  وَمَا لَكُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ مِنْ وَّلِيٍّ وَّلَا نَصِيْرٍ  بيه ڇھونه ڪانهه اکھاه الله تعالىٰ اس وراي تھُند نه دوست ته نه يار مددگار وون يله سُوي تھند يار ڇھو سُو ڪريا ڪانهه ڪومه مصلحته وراي.

بيهِ يله سُو تھُند مددگار ڇھو تهِ يله تھندن حُڪمن پيٺھ عمل ڪرِو. سو ڇھهِ تو هه مخالفن هنده مزاحمتهِ شره نشِهِ. حڪم ثاني بهتر ياتھه هيو آسن هڪهِ باعتبارِ ثواب ته آستھ. ڪُنهِ هيڪهِ باعتبارِ آساني ته آستھه يعني دوِيُم حڪم آسهِ ڳوڏنڪهِ حُڪمه خو ته آسان. يته هيڪهِ بنتھه ڪه دوِيُم حڪم آسه ڳوڏنڪهِ حُڪمچ معافي هُند حُڪم. دوِيُم حڪم

سُئِلَ مُوْسٰی مِنْ قَبْلُ ؕ وَمَنْ يَّتَبَدَّلِ الْكُفْرَ بِالْاِيْمَانِ فَقَدْ ضَلَّ سَوَآءَ السَّبِيْلِ ۝۱۰۸ وَدَّ كَثِيْرٌ مِّنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ لَوْ يَرُدُّوْنَكُمْ مِّنْۢ بَعْدِ اِيْمَانِكُمْ كُفَّارًا ۚۖ حَسَدًا مِّنْ عِنْدِ اَنْفُسِهِمْ مِّنْۢ بَعْدِ مَا تَبَيَّنَ لَهُمُ الْحَقُّ ۚ فَاعْفُوْا

---

جاري ڪرڻس اندر ڇهه- يمهِ ڪتهه ضروري ڪه سُو دوسُم حُڪمس جاري ڪرڻس اندر ڇهه ضرور ڪنهه نته ڪانهه مصلحت بيه ڇُهو سُو حُڪُم قادر مُطلق- بيه ڇُهو حاڪم محڪومَن هُند خير خواه- هرگه ڪانه اڪهاه محڪومن هنز مزاحمت ڪرهِ سُو ڇُهو تمن محڪومن مدد ڪران- بعضي ڇُهو قانون بدلاونه يوان- يمهِ وجههڪهِ قانون بناون والس ڇهه ڪُنهِ ڪانهه غلطي آسان تتهه منز گيمڙ- امه قسيچ تبديلي يا نسخ ڇُهو احڪام الٰهين منز محال ڪيازه الله تعالیٰ ڇُهو غلطي گرڇهنه نشِ منزه ته پاڪ- بعضے ڇههِ حُڪُم بدلاونه يِوان محڪومن هنز حالت بدل سپدنه خيطره- يتهه پاڻهِ مريضه سنز حالت بدلنه مَوڪه ڇُهو نسخه ته علاج بدلاونه يوان- يُتهه هيو نسخ ڇُهو جائز تتهه منز ڇُهونه ڪانهه اشڪالِ عقلي يا نقلي- بعضے يهُودو ڪور عناد اُعرض در خدمتِ آنحضرت صلی الله عليه وسلم ڪه ڪتهه پاڻه هز حضرت موسیٰ عليه السلامس پيٺهه توريت نازِل سپُد يڪه وٽه- يتهے پاڻهه هز گوڻهه قرآن مجيدته توهه پيٺهه نازِل سپُدن- اتهه متعلق ڇُهو الله تعالیٰ ارشاد فرماوان **اَمْ تُرِيْدُوْنَ اَنْ تَسْئَلُوْا رَسُوْلَكُمْ كَمَا سُئِلَ مُوْسٰى مِنْ قَبْلُ** اے يهُودَو ڪياه تههُ ڇهوه يڙهان پنه نس موجوده پيغمبرس تمه قسمڪ سوال ڪرن ته درخواست ڪرن- يمهِ قسمڪ درخواست تُههدين مالين ته بڊبن هندهِ ذريعه ڇهه ارڪهِ برونٺهه حضرت موسیٰ اَس ڪرنه آمت- مثلاً اسهِ هاويون حضَ الله تعالیٰ وارهڪارهنِ پاڻهه- لمهِ قسمڪ درخواست يمهِ منزه صرف پيغمبرس پيٺهه اعتراض ڪُرنته خدايه سنزن مصلحتن هنز مزاحمت ڪرن مقصود آسهِ تمه پته آسنه ايمان اَنه نڪ ته يڙهه ڪره نڪ ڪانهه اراده يمه گئيه صرتح ڪفر چه ڪتهه **وَمَنْ يَّتَبَدَّلِ الْكُفْرَ بِالْاِيْمَانِ فَقَدْ ضَلَّ سَوَآءَ السَّبِيْلِ** يُس شخص ايمان اننه بدل ڪفر چه ڪتهه ڪره پس پزِ پاڻهه سُو شخص ڈول سيزه وتهِ نش امهِ قسمڪ سوال ته درخواست ڪرن آس- يمهِ موڪه لغو ته بےڪار ڪه خدايه سنزن سارني ڪامين اندر

وَاصْفَحُوْا حَتّٰى يَاْتِيَ اللّٰهُ بِاَمْرِهٖ ؕ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۱۰۹﴾ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ ؕ وَمَا تُقَدِّمُوْا لِاَنْفُسِكُمْ مِّنْ خَيْرٍ تَجِدُوْهُ عِنْدَ اللّٰهِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ ﴿۱۱۰﴾ وَقَالُوْا لَنْ يَّدْخُلَ الْجَنَّةَ اِلَّا مَنْ كَانَ هُوْدًا

---

چھ بجہِ بجہِ حکمژ کانسہ بندس پھُونہ حق چون وچرا کرُنگ۔ بعضے یہُود آسِ شب و روز یہے کوشش کران کہ کُنہِ پاٹھہ گژھہ مسلمان اسلامہ نشہِ پھیرُن دوستی لاگتھہ خیر خواہی ظاہر کرتھہ۔ پریتھہ کنہ قسمک تدبیر بعمل اَنتھہ آسِ باوجود ناکامی پریتھہ وقتہ اَتھہ خیالس آسان۔ اللہ تعالیٰ ان کرِ با ایمان خبر داریہندہ امہِ خیالہ سیت۔ فرمون وَدَّ كَثِيْرٌ مِّنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ لَوْ يَرُدُّوْنَكُمْ مِّنْۢ بَعْدِ اِيْمَانِكُمْ كُفَّارًا اہل کتاب یعنی یہُود واندرہ چھہِ اکثر لوکھ یژھان کہ توہہِ پھرہ ہن تمِ ایمان انتھہ بیہِ کُفرس کُن تیہندُ یژھن پھُونہ تہنزہ خیر خواہی پیٹھہ مبنی یہ تمِ ظاہر کران آس بلکہِ حَسَدًا مِّنْ عِنْدِ اَنْفُسِهِمْ محض تُہندہ حسد کہ وجہہ یُس حسد تہندین دلن منز پھٹِ پھٹِ نیران چھُو۔ بیہ نہ یمہِ وجہہ کہ یمن نش کیاہ چھُو پوز کھٹتھہ بلکہ مِّنْۢ بَعْدِ مَا تَبَيَّنَ لَهُمُ الْحَقُّ تمن نشہِ پزوارہ ظاہر سپد نہ پتہ۔ وون اوس مُمکن یہ تہنز خباثت بوزتھہِ سپدن مسُلمان تمنِ پیٹھہ غضبناک۔ اللہ تعالیٰ اَن فرموٗکھ فَاعْفُوْا وَاصْفَحُوْا اے مسلمانو تہہ کروِ تمنِ معاف۔ تہہ کرو تہندس اتھہ شرارتس درگذر حَتّٰى يَاْتِيَ اللّٰهُ بِاَمْرِهٖ یوت تانِ اللہ تعالیٰ یتھہ معاملس متعلق پنن حکم نو قانون جاری فرماوِہ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ اللہ تعالیٰ چھُو بیشک پرتھہ چیزس پیٹھہ قدرتہ وول۔ یو تانِ جہادُک عالمس اندر امن وامان قائم تھاونگ حکم تہ دشمنان اسلامن سیت قتل و قتالُک حکم نافذ کرنہ ییہِ تو تانِ روزِو تہہ تہندین بین حُکمن پیٹھہ مستقیم۔ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ تہہ پرِو سر دست نمازہ پابندی سان بیہ یمن پیٹھہ زکوٰۃ فرض چھہَ تمِ دیو زکوٰۃ۔ وَمَا تُقَدِّمُوْا لِاَنْفُسِكُمْ مِّنْ خَيْرٍ تَجِدُوْهُ عِنْدَ اللّٰهِ بیہ یوسہ رژگوماہ پننہِ بہتری خیطرہ تُہہ سوزِو برونٹھہ کُن سولبِو تہہُ ضرور پُورہ پُورہ اللہ تعالیٰ اس نشہِ اِنَّ اللّٰهَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ کیازِہ اللہ تعالیٰ چھُو تُہنزہ

اَوْ نَصٰرٰی ؕ تِلْكَ اَمَانِیُّهُمْ ؕ قُلْ هَاتُوْا بُرْهَانَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ ﴿۱۱۱﴾ بَلٰی ۚ مَنْ اَسْلَمَ وَجْهَهٗ لِلّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ فَلَهٗۤ اَجْرُهٗ عِنْدَ رَبِّهٖ ۪ وَلَا خَوْفٌ عَلَیْهِمْ وَلَا هُمْ یَحْزَنُوْنَ ﴿۱۱۲﴾ وَقَالَتِ الْیَهُوْدُ لَیْسَتِ النَّصٰرٰی عَلٰی شَیْءٍ ۪ وَّقَالَتِ النَّصٰرٰی

---

سارے کامہِ وچھان تہ ژٕرژان۔ تمو کامیو اندرہ گژھہ نہ اَکس ذرس برابرتہِ تٕہنز کانہ کوماہ ضائع وَقَالُوْا لَنْ یَّدْخُلَ الْجَنَّةَ اِلَّا مَنْ كَانَ هُوْدًا اَوْ نَصٰرٰی یہُود تہ نصاریٰ چھہ ونان جنتس اندر اژن نہ مگر تمِے یم یہُودی آسن یہ آس ونان یہُودیا یم نصاریٰ آسن یہ آس ونان نصاریٰ اللہ تعالیٰ چھو یمن دوشونی ردّ کران فرماوان پُھک تِلْكَ اَمَانِیُّهُمْ یم چھہ تہند خام خیالات دِلس تسلّی دنہ چہِ کتھہ یمن ہنز حقیقت نہ کینہی چھہَ یمہِ چھہَ تمن رایہ گژھان قُلْ تہٕ فرماوِ حضٕ یارسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم تمن هَاتُوْا بُرْهَانَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ اے یہُودو تُہہ کرواتھہ پیٹھہ پننِ دلیل پیش گرتُہہ اَتھہ دعویٰ اس اندر پوزونہ ون چھوہِ۔ سو دلیل ہیکن نہ تم پیشی کرتھہ کیازہ تمن نشہ چھنہ اچ کانہہ دلیل اتھہ بدل چھہ اس فرماوان کہ بَلٰی کہ ضرور واتن جنتس منز مَنْ اَسْلَمَ وَجْهَهٗ لِلّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ فَلَهٗۤ اَجْرُهٗ عِنْدَ رَبِّهٖ وَلَا خَوْفٌ عَلَیْهِمْ وَلَا هُمْ یَحْزَنُوْنَ سُو شخص یُس پنن بُتھہ نومراوِہ معبود برحقس یعنی فرمانبرداری کرہ عقائدن تہ عملن اندر بکمال اخلاص۔ دلہ کن آسہِ فرمانبردار کُنہِ مصلحتہ ورای تہ کُنہِ ظاہرداری ورای یتھس شخصہ سندہ خیطرہ چھُوامہِ فرمانبرداری ہُند عوض تہ مزدور تہندسِ پروردگارس نشہِ حاصل سپدہ ون یتھین لوکن آسیہ نہ قیامتک دوہ کانہہ خوفناک واقعہ پیش ینک خوفاہ نہ آسین تم لوکھہ تمہ دہہ غمگین سپدہ ونِ کیازہ ملائک آسَنِ تمنِ بشار ژبوزہ ناوِتھہ بے فکر تھاوان منسوخ سپد تس حُکمس پیٹھہ عمل کرہ ونسِ وَرنہِ کُنہِ صورتس اندر فرمانبردار۔ لہٰذا چھنہ یہُود نصاریٰ فرمانبردار آسنس سزاوار بلکہ حُکم ثانی یعنی دوٕیمس حُکمس پیٹھہ عمل کرہ ونی ین شمار کرنہ فرمانبردار تہ مطیع۔ یہ شان چھُونہ مسُلمانن ورای بیہ کانسہِ ہُند کیازہ تمو کور نبوّت و شریعت محمّدیہ قبول اتھہ کن نظر کٔرِتھہ سپد ثابت کہ تمے چھہ جنتس منز

لَيْسَتِ الْيَهُوْدُ عَلٰى شَيْءٍ ۙ وَّهُمْ يَتْلُوْنَ الْكِتٰبَ ۭ كَذٰلِكَ قَالَ
الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ مِثْلَ قَوْلِهِمْ ۚ فَاللّٰهُ يَحْكُمُ بَيْنَهُمْ يَوْمَ
الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ ﴿۱۱۳﴾ وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنْ
مَّنَعَ مَسٰجِدَ اللّٰهِ اَنْ يُّذْكَرَ فِيْهَا اسْمُهٗ وَسَعٰى فِيْ خَرَابِهَا ۭ

---

واتنس سزاوار وهو محسن یعنی مخلص آوا تھ شرط تھاونہ یتھ امہ سیت منافق الگ سپدن کیازہ تمِ
چھ کافرنارس سزاوار اکہ پھرہ سمیای کینہہ یہود تہ نصاریٰ تموی ہیوت پانہ وانِ مذہبی بحث کُرن۔
یہُود چھِ پننہِ اعتقادہ موجُب نصاریٰ اَن ہندس وتیس باطِل زانان تمِ چھنہ حضرت عیسیٰ علیہ السلامہ
سندس رسالتس تہ انجیلہ کس کتاب اللہ آسنس پڑھ کران۔ نصاریٰ تہ چھہَ یہودیتس منسوخ زانتھ
باطِل قرار دوان تمِ تہ چھِ حضرت موسیٰ علیہ السلامہ سندِس پیغمبر آسنس اِنکار کران۔ یہہ چھنہ تمِ
توراتیس کتاب اللہ مانان دوشوے فریق چھِ کمالِ تعصبہ کن اَکھ اَکس انکا کران یئی چھو اللہ تعالیٰ بیان
فرماوان وَقَالَتِ الْيَهُوْدُ لَيْسَتِ النَّصٰرٰى عَلٰى شَيْءٍ ۠ وَّقَالَتِ النَّصٰرٰى لَيْسَتِ الْيَهُوْدُ عَلٰى شَيْءٍ ۙ یہُود لگِ
وننہِ نصاریٰ ان ہُند مذہب چھونہ کُنہ بنیادس پیٹھہ قائم یعنی سو چھو بے بنیاد تہ غلط مذہباہ۔ تتھے پاٹھہ چھہ
ونان نصاریٰ کہ یہودن ہند مذہب چھو بے بنیادِ تہ غلط مذہب وَّهُمْ يَتْلُوْنَ الْكِتٰبَ حالانکہ تمِ
دوشوے فریق چھہ پنن پنن آسمانی کتاب پَران یعنی یہُود چھہِ توریت پران نصاریٰ چھہ انجیل پران تہ
وچھان دوشون کتابن اندر چھو دوشونِ پیغمبرون تہ دوشون کتابَن ہُند تصدیق موجُود یوسہ دوشونِ
مذہبن ہنز بنیاد چھہِ اگرچہ قرآن مجید نازِل سپد نہ موکھہ چھنہ تمِ روزہ مژہ قابل عمل بلکہ چھہَ تمِ
دوشوے کتابہ منسوخ سپز مژہ یہود و نصاریٰ آسِ یہِ چھاوَن داسی کرانی تہ مشرکن تہِ بُت پرستن تہِ آو
جوش كَذٰلِكَ قَالَ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ مِثْلَ قَوْلِهِمْ تتھے پاٹھہ تمِ لُوکھ تمِ محض بے علم چھہِ یعنی مُشرک
تہ بُت پرست لگِ امی قسمچہ کتھہ وننہِ۔ تمِودوپ یہودن نصاریٰ ان ہُند مذہب چھو بے بنیاد اُسی چھہِ
پزسِ پیٹھہ۔ تمِ کُرِ تن اکھہ اَکس انکار فَاللّٰهُ يَحْكُمُ بَيْنَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ پس

أُولَٰٓئِكَ مَا كَانَ لَهُمْ أَن يَدْخُلُوهَآ إِلَّا خَآئِفِينَ ۚ لَهُمْ فِى ٱلدُّنْيَا خِزْىٌ وَلَهُمْ فِى ٱلْءَاخِرَةِ عَذَابٌ عَظِيمٌ ﴿۱۱۴﴾ وَلِلَّهِ ٱلْمَشْرِقُ وَٱلْمَغْرِبُ ۚ فَأَيْنَمَا تُوَلُّوا۟ فَثَمَّ وَجْهُ ٱللَّهِ ۚ إِنَّ ٱللَّهَ وَٰسِعٌ

الله تعالیٰ کرہ پانہ قیامتھ دوہہ یمن سارنی معاملن تہٕ مُقدمن منز فیصلہ تمن منز یم لوکھ پانہ وانِ اختلاف آسن کران حقیقتس اندر چھہٕ یم ترشوے فریق یژ ظالم اے مخاطب ژہ ونتہ۔ وَمَنْ أَظْلَمُ مِمَّن مَّنَعَ مَسَٰجِدَ ٱللَّهِ أَن يُذْكَرَ فِيهَا ٱسْمُهُۥ وَسَعَىٰ فِى خَرَابِهَآ وونِ کُہہ اکھاہ چُھہ یژ ظالم تس شخصہ سندھہ خوتہ یُس منع تہٕ بندش کرِ ہ خدایہ سنزن مسجدن اندر ذکر و عبادت کرنہ نشہٕ۔ تہند ناوٕہنیہ نشہٕ۔ بیہ کرہ کوشش تمن مسجدن ہنزہ ویرانی اندر۔ یہ کام چھہٕ کرمژ یمو ترشوی فریقو۔ یہود وکرِ قبلک حکم بدل سپدنہ کس موقس پیٹھ لوکن اندر تمہٕ قسمک شکھ تہٕ شبہات پیش یمو سیت لوکھ انکارِ رسالت کرِتھ ترکِ صلوۃ یعنی نماز تراونس پیٹھ آمادہ سپد ہن۔ نمازہ تراونہ سیت سپد ہن مسجدہ غیر آباد کیازہ مسجدن ہنز آبادی چھہٕ نمازہ سیتی گویا یہود وکرے یہ سٹھاہ کوششِ مسجد نبویس اندر گوژھنہ کانہہ تہٕ نماز پرنہٕ اژُن نصاریٰ اوٗاندرہ بعضے رومک پادشاہ تمنٕ پیٹھ یلہٕ یہود وچڑاہی کرِتھ بیت المقدس پیٹھ حملہ کور۔ بعضے جاہل نصرانین ہندہٕ اتھہ واژ سخت بے حرمتی مسجدِ اقصیٰ اُس بدامنی ہندہ وجہ آیہٕ نہ تتھ منزہ نمازی پرٕنہ کیمہنس کالس۔ امہٕ اعتبارہ سپد نصاریٰ تہٕ مرتکب اٹھہ جرمس جناب سرور کائنات صلی اللہ علیہ وسلم تموِیلہٕ فتح مکہ کرنہ برونٹھ بارادہ عمرہ مکہ شریفس کُن تشریف انیوو۔ مشرکین مکو دیُت نہ تمن مکہ شریفس اندراژنک عُمرہ کرنک اجازت۔ چنانچہ تمن پیو تمہٕ ورہہ واپس تشریف نٔین۔ امہٕ اعتبارہ سپدِ مُشرک تہٕ مرتکب امہٕ جُرمکِ لہذا چھہٕ یم ترشوے فریق بڈٕ ظالم أُولَٰٓئِكَ مَا كَانَ لَهُمْ أَن يَدْخُلُوهَآ إِلَّا خَآئِفِينَ یم لوکھ گئےتہٕ یمن نہ تمن مسجدن اندر لتھ لدنِ تہٕ پزہٕ ہاخوف وہیتہ وراۓ تژھہ آسہ یمہ مسجدہ باعظمت وحرمت یمنی مسجدن بے حرمتی کرن لوکن نہ یمن مسجدن اندراژنہ دیون یادخداتہٕ عبادت کرنہ خیطرہ اتھہ برابر چھونہ کانہہ ظلم لَهُمْ فِى ٱلدُّنْيَا خِزْىٌ وَلَهُمْ فِى ٱلْءَاخِرَةِ عَذَابٌ عَظِيمٌ یمنی لوکن ہندہ خیطرہ چھُو دنیاس اندر بڈر سوائی بیہ چھُو یمنی ہندہ خیطرہ دگ تہٕ دود تلہ ڈن عذاب یژھہ یچھ کامہ کرِتھ چھُو تمنِ خیال یژ سِ پیٹھ آسنک بیہ جنتس واتنک دعویٰ۔

عَلِيْمٌ ﴿۱۱۵﴾ وَقَالُوا اتَّخَذَ اللّٰهُ وَلَدًا ۙ سُبْحٰنَهٗ ؕ بَلْ لَّهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ كُلٌّ لَّهٗ قٰنِتُوْنَ ﴿۱۱۶﴾ بَدِيْعُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَاِذَا قَضٰٓى اَمْرًا فَاِنَّمَا يَقُوْلُ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ ﴿۱۱۷﴾ وَقَالَ الَّذِيْنَ

---

یہوٗدو کریوہ تحویلِ قبلہ سپدنس پیٹھ اعتراض کہ مسلمان کیازہ پھیر اکہ جہتہ نِشہِ بیٖس جہتس کُن اللہ تعالیٰ اَن فرموو تِمن جواب وَلِلّٰهِ الْمَشْرِقُ وَالْمَغْرِبُ معبود برحقہ سندی چھہ ساری طرف تہٕ جہت مشرق تہٕ مغرب تہٕ پرِیتھہ طرفاہ چھُو تہٕندی مملوک تہٕ مخلوق کُنہ طرفس چھُونہ تہٕنْد مکان سُو چھو مکان آسنہ نِشہِ مُنزہ تہٕ پاک۔ سُویلہِ پرِیتھہ طرفُک مالِک چھُو۔ لہٰذا یتھہ طرفس سُو قبلہ یژھہِ تتھہ طرفس کرہِ مقرر۔ کیازہ قبلہ مُقرّر کرنس اندر چھہٕ یہےٚ حکمت کہ عبادت کرہ وٕنین بندن، نماز گذارَن سپدِہ امہِ سیت اتفاق تہٕ اجتماعِ خاطِر حاصِل۔ یعنی دِل روزیکھ ڈنجہِ۔ یلہِ یہ حقیقت چھہٕ فَاَيْنَمَا تُوَلُّوْا فَثَمَّ وَجْهُ اللّٰهِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ وَاسِعٌ عَلِيْمٌ پس یتھہ طرف کُن تہٕ پھیرو تتھ طرفس کُن چھُو معبودِ برحقہ سندہِ ذاتِ پاکُک رُخ۔ پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو سارنی طرفن احاطہ کرِتھ۔ لیکن باوجود آں کور تمِ جہت عِبادت یعنی عباد تُک طرف معین کیازہ سُو چھُو سٹھاہ زانن وول تس چھُو معلوم کتھ چیزس اندر کیاہ کیاہ مصلحت چھہ چونکہ تہٕندس علمس اندر آسِ قبلہ معین کرنس اندر مصلحت۔ لہٰذا کُورن قبلہ معین۔ بعض یہُود چھہ حضرتِ عزیر علیہ السلامس خدایہِ سُند پُتھ وٕنان۔ بیہ آسِ نصاریٰ حضرتِ عیسیٰ علیہ السلامَس خدایہِ سُند پُتھو وٕنان۔ مشرک آسِ ملائکن خدایہِ سنزہ کورہ وٕنان۔ امہِ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ تِمنِ یِہنزن سارنی لغو کتھن رد کران تہٕ فرماوان چھُو وَقَالُوا اتَّخَذَ اللّٰهُ وَلَدًا ۙ سُبْحٰنَهٗ بیہ چھہِ وٕنان تِم یہُود تہٕ نصاریٰ تہٕ مشرک خدایس چھہِ اولاد گبر تہٕ کورہ۔ کیژاہ لغو تہٕ مہمل چھہٕ یمہ کتھہ۔ سُو چھُو یمو کتھو نِشہِ منزہ تہٕ پاک بَلْ لَّهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ بلکہ چھُو تس معبود برحقہ سُندوی تہٕ ساروی یِہ آسمانن تہٕ زمین اندر چھُو۔ موجوداتو اندرہ كُلٌّ لَّهٗ قٰنِتُوْنَ تمِ ساری چھہِ خدایہ سندہ مملوک آسنکہِ علاوہ تسند محکوم تہٕ فرمانبردار۔ تکیازہ تہٕندن تصرفات قدرتن نِشہِ چھُنہ کانہہ اکھاہ تمو اندرہ کلہ ہکان پھرت تمِ گئے مارُن۔ پیدہ کرن۔ بیمار پاوُن۔ بلراوُن بَدِيْعُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ سُوی چھُو آسمانن تہٕ زمین ہند موجدِ تہٕ گوڈہ پیدہ کرِتھ تمسنز قدرت چھہ تژھہ عجیب کہ وَاِذَا قَضٰٓى

لَا يَعْلَمُوْنَ لَوْلَا يُكَلِّمُنَا اللّٰهُ اَوْ تَاْتِيْنَاۤ اٰيَةٌ ؕ كَذٰلِكَ
قَالَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ مِّثْلَ قَوْلِهِمْ ؕ تَشَابَهَتْ قُلُوْبُهُمْ ؕ
قَدْ بَيَّنَّا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يُّوْقِنُوْنَ ﴿۱۱۸﴾ اِنَّاۤ اَرْسَلْنٰكَ بِالْحَقِّ

---

اَمْرًا فَاِنَّمَا يَقُوْلُ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ يلہِ سُو کانہہ کوماہ کرن یژھان چھُو۔ مثلاً کانہہ چیز اہ پیدہ کرن یژھان چھُو سُو چھونہ کینہہ تہِ کران۔ فقط چھُو تتھ چیزس کُن حکم کران کہ سپد۔ اتی چھو سپدان، بنان از عدم بوجودیوان تِس چھو نہ سُو چیز پئیدہ کرنہ خیطرہ آلاتن تہ اوزارن تہ سامانن ہنز ضرورت پیوان وَقَالَ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ لَوْلَا يُكَلِّمُنَا اللّٰهُ اَوْ تَاْتِيْنَاۤ اٰيَةٌ بیہِ چھہِ بعضی جاہل تہ نادان یہُود تہ نصاریٰ بیہ مُشرک نبی کریم صلی اللہ علیہِ وسلمس مقابل یہ کتھ ونان کہ اللہ تعالیٰ کونہ چھُو پانٔے اسہِ سیت کتھ کران ملائکن ہندہِ وساطتہ ورایِ یتھہ پاٹھ سُو ملائکن سیت کتھ کران چھُو۔ یا ملائکن ہندہِ واسطہِ۔ یا یتھہ پاٹھہِ ملائیک پیغمبرن سیت بطور وحی اللہ تعالیٰ کلام چھُو کران۔ تتھہ کلامَس منز کونہ چھُو اسہِ پننِ احکام بیان فرماوان۔ تا کہِ اسہِ روزہِ ہانہ ئیس کانسہِ پیغمبرہ سنز ضرور تھی۔ یا کونہ چھُو اسہِ کم از کم یہےَ کتھ پانہ فرماوان۔ حضرتِ محمد صلی اللہ علیہِ وسلم چھُو بیشک سون پیغمبر۔ تا اینکہ اسِ کرہ ہَو تمن پڑھ کرِ تھ تہنز اطاعت و فرمانبرداری۔ یا ہرگاہ کلام فرماوِنہ توتہِ کونہ چھُو کانہہ دلیلاہ اسہِ کُن سوزان تہندِس پیغمبر آسنس پیٹھ۔ اللہ تعالیٰ چھُو یہنزن کتھن رد کران گوڈنی چھُو فرماوان کہ یمہِ کتھہ یہنزہ چھہَ جاہلانہ کتھہ كَذٰلِكَ قَالَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ مِّثْلَ قَوْلِهِمْ یژھے کتھہ آسِ ونان تمِ جاہلِ لُوکھ تمِ یمَن برونٹھ گذریمتِ چھہِ۔ تمِ تہِ آسِ یہنزے ہشہِ جاہلانہ کتھہ وَنان۔ معلُوم سُپد کہ یمہِ کتھہ چھنہ کُنہی تہِ وقعت تھاوان بلکہِ چھہِ تمِ محض برونٹھمین جاہلن ہنز پیروی کران امیک وَجہ چھُو کہِ تَشَابَهَتْ قُلُوْبُهُمْ یمَن پتمین برونٹھمین جاہلن ہندِ دِل چھہ کج فہمی اندر۔ اکھہ اکِس ہِو۔ تمی موکھ چھہَ یہندیو دِلوَ اندرہ اکی قسمچہِ کتھہ نیران۔ چونکہِ امہ قسمہ جاہلانہ کتھہ چھہَ بالکُل باطِل لہٰذا آونہ یمَن جاہلانہ کتھن ہندہِ جوابک کانہہ خیال کرنہ۔ پس روزیہ کتھہ کہ اسہِ نشہ کونہ چھہَ واتان کانہہ ترٛیژھ دلیلاہ یمہِ سیت ثابت سپدِہ ہار سالتِ حضرتِ محمد صلی اللہ علیہِ وسلم۔ تتھہ متعلق چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان کہِ قَدْ بَيَّنَّا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يُّوْقِنُوْنَ اکہ دلیلہِ ہنز کیاہ چھہَ کتھی اسہِ کرہ واریاہ دلیلہ بیان وضاحتہ سان یمہِ نافع تہ کافی چھہَ تمنِ لوکن ہندہِ

بَشِيْرًا وَّنَذِيْرًا ۙ وَّلَا تُسْـَٔلُ عَنْ اَصْحٰبِ الْجَحِيْمِ ﴿۱۱۹﴾ وَلَنْ تَرْضٰى عَنْكَ الْيَهُوْدُ وَلَا النَّصٰرٰى حَتّٰى تَتَّبِعَ مِلَّتَهُمْ ؕ قُلْ اِنَّ هُدَى اللّٰهِ هُوَ الْهُدٰى ؕ وَلَئِنِ اتَّبَعْتَ اَهْوَآءَهُمْ بَعْدَ الَّذِىْ جَآءَكَ مِنَ الْعِلْمِ ۙ مَا لَكَ مِنَ اللّٰهِ مِنْ وَّلِىٍّ وَّلَا نَصِيْرٍ ﴿۱۲۰﴾

---

خیطرہ یم یقین تہٕ اطمینان حاصِل کرن یژھان چھہِ۔ پَتھہ رُودِ اعتراض کرہ ون لُوکھ تِمن ہُند مقصد چھُو خواہ مخواہ ضِد کرن۔ تِمن تسلی سپد نٕک ہیکہِ نہ کانہہ ذمہ دار سپد تھہ۔ یتنس اوس مُمکِن کہ یہُودو نصارٰی اَن ہندِ امہِ جہالتہ و عنادہ سیت ماسپدہ ہا حضرت نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن ہند دِل مُبارک آزردہ۔ بیہ سپد ہن تم غمگین۔ تِم دپہ ہن تہندہ اسلام انہ نچ کوسہ صورتھہ ہیکہِ پادہ سپد تھہ۔ اللہ تعالٰی ان کور۔ بیان امہِ پتہٕ آیہ کرِیمس منز تِمنِ تسلی اِنَّآ اَرْسَلْنٰكَ بِالْحَقِّ بَشِيْرًا وَّنَذِيْرًا وَّلَا تُسْـَٔلُ عَنْ اَصْحٰبِ الْجَحِيْمِ اَی پیغمبر برحق صلی اللہ علیہ وسلم۔ بیشک اسہِ حضٕ سوزوہ تہٕ پوزدین ہیتھہ لُکن کُن۔ یژھہ کرہ و نین ہندِ خیطرہ خوشخبری بوزہ ناوہ وِن بیہ نہ مانہ و نین ہندِ خیطرہ سزاو عذابک بیم کرہ ون۔ توہہِ نہٕ ییہ نہ بازپُرس کرنہ تِمن لُوکن ہُند یِم نار جہنمس اندر رواتہٕ وِن آسن کہ تمو کو نہ کور دینِ اسلام قبول۔ تِم کیازِ ہ واتِ نار جہنمس۔ تُہہ رُوزِ ونِن کوم کران۔ کانسہِ ہندِ مانہ نٕک یا نہ مانہ نٕک مہ ہیوِ غم نہ مہ کھیوِ فکر وَلَنْ تَرْضٰى عَنْكَ الْيَهُوْدُ وَلَا النَّصٰرٰى حَتّٰى تَتَّبِعَ مِلَّتَهُمْ بیہ ہیکن نہ ہرگز یہُود تہٕ نصارٰی زانہہ تہٕ خوش گژِھتھہ توہہِ نِشہِ یوت تام نہ تُہہ تہندِ مذہچ پورہ پیروی کرِو۔ یہ کتھہ چھہ محال۔ لہذا چھُو تُہند توہہِ نِشہِ راضی سپدُن تہٕ محال۔ لہذا ہر گہ کُنہِ وقتہ تہندہ زبانِ امہِ قسمہ کانہہ کتھاہ بُوزِو یا کانہہ اشارہ لبِو قُلْ اِنَّ هُدَى اللّٰهِ هُوَ الْهُدٰى تہُند گژِھہِ تِمن صاف فرماوُن کہِ یِمہِ کتھہ تراوِو۔ حقیقتس اندر چھُو ہدایت سُی یتھہ اللہ تعالٰی ان ہدایت فرموود۔ سُو ہدایت گو اسلام۔ تی چھُو ثابتِ بجود لیلو سیت وَلَئِنِ اتَّبَعْتَ اَهْوَآءَهُمْ بَعْدَ الَّذِىْ جَآءَكَ مِنَ الْعِلْمِ مَا لَكَ مِنَ اللّٰهِ مِنْ وَّلِىٍّ وَّلَا نَصِيْرٍ تہُند تہندِ مذہبک پیروی کرُن چھُو محال تہٕ نامُمکن یِمہِ موکھہ کہ امہِ سیت چھُو لازِم یِوان اکھ محال تہٕ نامُمکن

اَلَّذِيۡنَ اٰتَيۡنٰهُمُ الۡكِتٰبَ يَتۡلُوۡنَهٗ حَقَّ تِلَاوَتِهٖ ؕ اُولٰٓئِكَ يُؤۡمِنُوۡنَ بِهٖ ؕ وَمَنۡ يَّكۡفُرۡ بِهٖ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الۡخٰسِرُوۡنَ ﴿۱۲۱﴾ يٰبَنِىۡٓ اِسۡرَآءِيۡلَ اذۡكُرُوۡا نِعۡمَتِىَ الَّتِىۡٓ اَنۡعَمۡتُ عَلَيۡكُمۡ وَاَنِّىۡ فَضَّلۡتُكُمۡ عَلَى الۡعٰلَمِيۡنَ ﴿۱۲۲﴾ وَاتَّقُوۡا يَوۡمًا لَّا تَجۡزِىۡ نَفۡسٌ عَنۡ نَّفۡسٍ شَيۡـًٔا وَّلَا يُقۡبَلُ مِنۡهَا

---

کٿاه کيائون هر گاه تهِ پيروي کرڻ لڳوُ تهندِ س غلط ملط مذهَب يُس محض تهندين خواهشاتن هُند اکهه مجموعاه چھُو. تِي کرِوه تهِ (نعوذ بالله) توهِه نِشهِ علم قطعي واتنه پته. اتهه صورتس اندر هيکه نه توهِه بچاو تهِ الله تعالىٰ اَس نِش کانهه دوستاه نه کانهه مددگاراه بلکه ييه لازِم که تهِ سپدِو خدايه سندِس پنجه قهرس اندر گرفتار ته ماخوذ. چونکهِ ييه چھُو محال کيازِه دلائل قطعيو سيت چھُو ثابت که الله تعالىٰ چھُو توهِه نِشهِ هميشه راضي. پس تُهند غضبناک سپدن توهِ پيٹھه اتِه چھُو محال. لهذا پيروي کرن تهُندس باطلِ مذهبس تهِ ته چھُو محال. لهذا تِمن يهُود و نصارےٰ ان هُند توهِه نِشهِ خوش سُپدن تِه ته محال لهذا چھنهِ تهندهِ اسلام انه نچ صورتهي کانهه. لهذا اکريون دِل مُبارک پُڻن امهِ فکرِه نشهِ خالي. امهِ پته چھُو الله تعالىٰ فرماوان تِمن اهلِ کتابن هُند تذکره يمِو قرآنِ مجيدس پرٹھ کر. اَلَّذِيۡنَ اٰتَيۡنٰهُمُ الۡكِتٰبَ يَتۡلُوۡنَهٗ حَقَّ تِلَاوَتِهٖ يمن يهُود و نصاريٰ ان اسه عطا کرُتب يعني توراِيت وانجيل تِمے آسن تِهه کتابهِ تِهه پاٹھِ پران يتهه پاٹھِ پرُن شُوبهِ يعني تمکِ مضامين واره فکرِه تاران. پرِنس پيروي کره نک پورُه اراده کران اُولٰٓئِكَ يُؤۡمِنُوۡنَ بِهٖ تِهي لُوکھ چھهِ بيشک تهه دِين حقس ايمان انان ته پرٹھه کران. وَمَنۡ يَّكۡفُرۡ بِهٖ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الۡخٰسِرُوۡنَ تمِ لُوکھ اتهه دِين حقس انکار کرن تِمن چھُو تمُيک نقصان ته تاوان پنه نِس پانِس. تمِ سپدن ايمانه کيو فائدو ته منافعو نِشهِ محروم. يٰبَنِىۡٓ اِسۡرَآءِيۡلَ اے حضرتِ يعقوبهِ سنديو نچويو اذۡكُرُوۡا نِعۡمَتِىَ الَّتِىۡٓ اَنۡعَمۡتُ عَلَيۡكُمۡ ژِلِتس پاوِو ميانه تمهِ نعمتِ يمهِ ميه توهِه عطا کرِ موه وَاَنِّىۡ فَضَّلۡتُكُمۡ عَلَى الۡعٰلَمِيۡنَ بيهِ دتموه فضيلت توهِه واريهِن لوکن پيٹھ واريهِن کُهن اندر. دوباره آو بيان کرنه واره تاکيده خيطره وَاتَّقُوۡا يَوۡمًا کھوژِو ته بچِو تمهِ دوهه کهِ عذابه نِشهِ لَّا تَجۡزِىۡ نَفۡسٌ عَنۡ نَّفۡسٍ شَيۡـًٔا يمهِ دوهه نه کانهه کِفايت هيکهِ کرِتهِ کانهه اکهاه

عَدۡلٌ وَّلَا تَنۡفَعُهَا شَفَاعَةٌ وَّلَا هُمۡ يُنۡصَرُوۡنَ ﴿۱۲۳﴾ وَاِذِ ابۡتَلٰۤى
اِبۡرٰهٖمَ رَبُّهٗ بِكَلِمٰتٍ فَاَتَمَّهُنَّ ؕ قَالَ اِنِّىۡ جَاعِلُكَ لِلنَّاسِ اِمَامًا ؕ
قَالَ وَمِنۡ ذُرِّيَّتِىۡ ؕ قَالَ لَا يَنَالُ عَهۡدِى الظّٰلِمِيۡنَ ﴿۱۲۴﴾ وَاِذۡ جَعَلۡنَا
الۡبَيۡتَ مَثَابَةً لِّلنَّاسِ وَاَمۡنًا ؕ وَاتَّخِذُوۡا مِنۡ مَّقَامِ اِبۡرٰهٖمَ مُصَلًّى ؕ وَعَهِدۡنَاۤ
اِلٰٓى اِبۡرٰهٖمَ وَاِسۡمٰعِيۡلَ اَنۡ طَهِّرَا بَيۡتِىَ لِلطَّآٮِٕفِيۡنَ وَالۡعٰكِفِيۡنَ وَالرُّكَّعِ

---

کانسہِ اکس کُنہِ چیزک۔ کانہہ اکھاہ ییہِ نہ کانسہِ اکسِ بکار **وَّلَا يُقۡبَلُ مِنۡهَا عَدۡلٌ وَّلَا تَنۡفَعُهَا شَفَاعَةٌ** نہ دیہِ کانہہ فائدہ تہ نفع کانسہِ اکسِ کانسہِ اکِ سنز شفاعت تہ سفارِش۔ تمنِ صاحبن ورای یمنِ اللہ تعالیٰ شفاعت کرہ نک اجازت دِیہِ **وَّلَا هُمۡ يُنۡصَرُوۡنَ** نہ ییہِ تمنِ یاری تہ مدد کرنہ کانہہ تہِ بچاوِہ نہ تمنِ پنہ نیوزوروسیت۔ **وَاِذِ ابۡتَلٰۤى اِبۡرٰهٖمَ رَبُّهٗ** ژتس پاوِیلہِ آزمایش کر حضرتِ ابراہیمس پننِ پروردگارن **بِكَلِمٰتٍ** پنہ نیو احکامو اندرہ کنیژو حکموسیت **فَاَتَمَّهُنَّ** پس انِ بجاتم یمِ حُکم وارہ پاٹھہِ۔ **قَالَ اِنِّىۡ جَاعِلُكَ لِلنَّاسِ اِمَامًا** اللہ تعالیٰ ان فرمؤوس تمہِ ساتہ راضی گژِھتھ بہ کرتھ ژہ اتھ بدل نبوت تہ پیغمبر عطاکرِ تھ لوکن ہُند امام تہ پیشوا **قَالَ** حضرتِ ابراہیمن دوپ **وَمِنۡ ذُرِّيَّتِىۡ** پروردگار امیانہ ذریتہً منزہ تہ کرتہ کانسہِ یہ مہربانی عطا۔ **قَالَ** اللہ تعالیٰ اَن فرمووس **لَا يَنَالُ عَهۡدِى الظّٰلِمِيۡنَ** شاملِ سپدِہ نہ میانہِ طرفہ یہ عہدہ نبوّت چانہ ذرّیتہ منزہ ظالمن۔ یعنی یِم مُشرِک آسن تِمواندرہ تمن ہیکہِ نہ یہ مہربانی حاصِل سپدِتھ **وَاِذۡ جَعَلۡنَا الۡبَيۡتَ مَثَابَةً لِّلنَّاسِ وَاَمۡنًا** سُو وقت تہِ چھُنا قابلِ ذِکر یمہِ وقتہ اسہِ خانہ کعبہ کورلوکن ہندِہ سمپنج، جمع سپدنچ بیہِ امنچ جائے **وَاتَّخِذُوۡا مِنۡ مَّقَامِ اِبۡرٰهٖمَ مُصَلًّى** بیہ کوراسہِ حُکم باایمانن۔ اے با ایمانو مقام ابراہیم بناویون کُنہِ کُنہِ وقتہ نماز پرنچ جائے تہِ برکت حاصِل کرنہ خیطرہ۔ مقامِ ابراہیم گئیہِ سوکنِ یتھ پیٹھ وودنہِ رُوزِتھ حضرت ابراہیم خانہ کعبکِ دیوار آسِ بناکرِان۔ **وَعَهِدۡنَاۤ اِلٰٓى اِبۡرٰهٖمَ وَاِسۡمٰعِيۡلَ** بیہ کوراسہ حُکم حضرتِ ابراہیمس تہ حضرتِ اسمٰعیلس **اَنۡ طَهِّرَا بَيۡتِىَ** کہ سیٹھاہ پاک تھاویون یہ میون گھرہ **لِلطَّآٮِٕفِيۡنَ**

السُّجُوْدِ ﴿۱۲۵﴾ وَإِذْ قَالَ إِبْرٰهِمُ رَبِّ اجْعَلْ هٰذَا بَلَدًا اٰمِنًا وَّارْزُقْ
اَهْلَهٗ مِنَ الثَّمَرٰتِ مَنْ اٰمَنَ مِنْهُمْ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ ۭ قَالَ وَمَنْ
كَفَرَ فَاُمَتِّعُهٗ قَلِيْلًا ثُمَّ اَضْطَرُّهٗٓ اِلٰى عَذَابِ النَّارِ ۭ وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ ﴿۱۲۶﴾
وَاِذْ يَرْفَعُ اِبْرٰهِمُ الْقَوَاعِدَ مِنَ الْبَيْتِ وَاِسْمٰعِيْلُ ۭ رَبَّنَا تَقَبَّلْ مِنَّا ۭ
اِنَّكَ اَنْتَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ﴿۱۲۷﴾ رَبَّنَا وَاجْعَلْنَا مُسْلِمَيْنِ لَكَ

---

وَالْعٰكِفِيْنَ وَالرُّكَّعِ السُّجُوْدِ طواف کرہ وٕنین ہندِہ خیطر ہ۔ بیہِ اعتکاف کرہ وٕنین ہندِہ خیطر ہ۔ یا اتھ شہرس منزبسہ وٕنین ہندِہ خیطر ہ یا ئبر مین لوکن ہندِہ خیطر ہ۔ بیہِ نمازہ پرہ وٕنین ہندِہ خیطر ہ۔ وَإِذْ قَالَ إِبْرٰهِمُ بیہِ پاوِد ژٕتس یمہِ وقتہ حضرتِ ابراہیمن دعا کور رَبِّ اجْعَلْ هٰذَا دوپُن اے میانہ پروردگار کُرن یہ علاقہ یتھ منزاسہِ بَلَدًا اٰمِنًا شہراہ امن دِوہ ؤن یا محفوظ پریتھ قسمچو آفتو تہ بلایوٕ نشہِ وَّارْزُقْ اَهْلَهٗ مِنَ الثَّمَرٰتِ بیہِ کر عطاتہِ کین لوکن میوہ تہ مَنْ اٰمَنَ مِنْهُمْ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ اتہِ کیو لوکو اَندرہ تِمنی یمو ایمان اُون معبود برحقس بیہِ پتمس دوہس یعنی قیامتس قَالَ اللہ تعالیٰ فرموو وَمَنْ كَفَرَ کافرن تہِ کرہ بہ عطا رزق میوہ جاتو سیت کیاہ زِہ رزقکُ معاملہ چھو عام کافرن تہ مسُلمانن فَاُمَتِّعُهٗ قَلِيْلًا ثُمَّ اَضْطَرُّهٗٓ اِلٰى عَذَابِ النَّارِ دونِ یُس کافری روزِہ پس تمتع تُلہ ناوَن سُو کم کھینہ کالس۔ تو پتہ واتناون سُو مجبور سپد تھ نارہ کسِ عذابس منز یعنی ناچار واتہِ سُو تتھ منز۔ کیازہ بیہِ آسہِ نہ تس سزاوار کانہہ جایاہ۔ وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ کاژاہ یچھہ جای چھہ سُونار جھنم۔ یتھہ منز تمِ واتن وَاِذْ يَرْفَعُ اِبْرٰهِمُ الْقَوَاعِدَ مِنَ الْبَيْتِ بیہِ پاوِد ژٕتس یلہِ حضرتِ ابراہیم علیہ السلام خانہ کعبچہِ لبہ تہ دیوار کھاران آسِ وَاِسْمٰعِيْلُ سیت آسکھ حضرتِ اسمٰعیل فرزندپنن تعمیرچہِ کامہِ منزیا آسکھ تمِ گنہِ تہ رب پلہ ناوان تہ تمِ آسِ پانہ تمو کینو سیت دیوار بلند کران۔ یہ کوم کران کران آس منگان یلہِ امہِ تعمیرچہِ کامہِ نشہِ دوشوٕے صاحب فارغ سپدِ اتی لگِ یہِ دعا کرنہِ رَبَّنَا تَقَبَّلْ مِنَّا اِنَّكَ اَنْتَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ اے سانہِ پروردگار بیہِ کر قبول ژٕہ یہِ خدمت سانِ۔ پزِ پاٹھِہ ژٕی چھکھ بوزہ وُن سون دُعا ژٕی چھے پورہ خبر سانن نیتن مقاصدن تہ ارادن ہنز رَبَّنَا

وَمِنْ ذُرِّيَّتِنَآ اُمَّةً مُّسْلِمَةً لَّكَ ۠ وَاَرِنَا مَنَاسِكَنَا وَتُبْ عَلَيْنَا ۚ
اِنَّكَ اَنْتَ التَّوَّابُ الرَّحِيْمُ ﴿۱۲۸﴾ رَبَّنَا وَابْعَثْ فِيْهِمْ رَسُوْلًا
مِّنْهُمْ يَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِكَ وَيُعَلِّمُهُمُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ وَ
يُزَكِّيْهِمْ ۭ اِنَّكَ اَنْتَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿۱۲۹﴾ وَمَنْ يَّرْغَبُ عَنْ مِّلَّةِ
اِبْرٰهٖمَ اِلَّا مَنْ سَفِهَ نَفْسَهٗ ۭ وَلَقَدِ اصْطَفَيْنٰهُ فِي الدُّنْيَا ۚ
وَاِنَّهٗ فِي الْاٰخِرَةِ لَمِنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿۱۳۰﴾ اِذْ قَالَ لَهٗ رَبُّهٗٓ اَسْلِمْ ۙ

---

وَاجْعَلْنَا مُسْلِمَيْنِ لَكَ اے سانه پروردگار بيهِ کراسهِ ٻنهي ڄڻن وڌيڪ فرمانبردار يعني زياده تابعدار ته فرمانبردار
وَمِنْ ذُرِّيَّتِنَآ اُمَّةً مُّسْلِمَةً لَّكَ بيهِ ڪرن سانيو اولادو اندرهِ ته اکه جماعتهاه پنه نين فرمانبرارن هنز
وَاَرِنَا مَنَاسِكَنَا بيهِ هاواسهِ تمِ ساري چيز تموسيت اسهِ چانِ عبادت چهه گرن۔ احكام حج وغيره وَتُبْ
عَلَيْنَا بيهِ کراسهِ کُن توجه۔ توبه سون کر قبول اِنَّكَ اَنْتَ التَّوَّابُ الرَّحِيْمُ پزپاڻهِ ڙي چهوکه في الحقيقت
اسهِ کُن توجه کرهڈن سيٹهاه توبه قبول کرهڈن سيٹهاه رحم کرهڈن رَبَّنَا وَابْعَثْ فِيْهِمْ اے سانه
پروردگار بيهِ سوز تمِن سانين اولادن کُن يلهِ تهند تعداد بڈهِ ته بکثرت سپده۔ رَسُوْلًا مِّنْهُمْ پيغمراه
عظيم الشّان تموي اَندره يَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِكَ يُس پران آسهِ تمِن پيٹهِ يُس بوزه ناوان آسهِ تمِن چانِ
آيات وَيُعَلِّمُهُمُ الْكِتٰبَ بيهِ آسيکه، ہچھناوان سو کتاب يوسه تمِن پيٹهه نازل بيهِ کرنه وَالْحِكْمَةَ بيهِ
آسکه ہچھِ ناوان تمهِ کتابهِ هندِ مقاصد وَ يُزَكِّيْهِمْ بيهِ آسهِ تهندِ نفوس پاک کران اِنَّكَ اَنْتَ الْعَزِيْزُ
الْحَكِيْمُ پزپاڻهِ ڙي چهوکه طاقته وول، چاني قدرت چهه غالب۔ ڙي چهوکهه حکمته وول۔ وَمَنْ
يَّرْغَبُ عَنْ مِّلَّةِ اِبْرٰهٖمَ اِلَّا مَنْ سَفِهَ نَفْسَهٗ بيهِ کُس کرهِ روگرداني حضرتِ ابراهيمه سندهِ ملّته نشهِ
مگر کرهِ سُی يُس ذاتي نادان ته احمق آسه وَلَقَدِ اصْطَفَيْنٰهُ فِي الدُّنْيَا پُز پاڻهِ ژوراسهِ سُو حضرت
ابراهيم دُنياهس اندر عهده رسالته خيطره وَاِنَّهٗ فِي الْاٰخِرَةِ لَمِنَ الصّٰلِحِيْنَ بيهِ چهُو سُو پزپاٹ آخرِ

قَالَ اَسْلَمْتُ لِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿١٣١﴾ وَوَصّٰى بِهَاۤ اِبْرٰهٖمُ بَنِيْهِ وَ
يَعْقُوْبُ ؕ يٰبَنِيَّ اِنَّ اللّٰهَ اصْطَفٰى لَكُمُ الدِّيْنَ فَلَا تَمُوْتُنَّ اِلَّا
وَاَنْتُمْ مُّسْلِمُوْنَ ﴿١٣٢﴾ اَمْ كُنْتُمْ شُهَدَآءَ اِذْ حَضَرَ يَعْقُوْبَ
الْمَوْتُ ۙ اِذْ قَالَ لِبَنِيْهِ مَا تَعْبُدُوْنَ مِنْۢ بَعْدِىْ ؕ قَالُوْا نَعْبُدُ
اِلٰهَكَ وَاِلٰهَ اٰبَآئِكَ اِبْرٰهٖمَ وَاِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ اِلٰهًا وَّاحِدًا ۚۖ
وَّنَحْنُ لَهٗ مُسْلِمُوْنَ ﴿١٣٣﴾ تِلْكَ اُمَّةٌ قَدْ خَلَتْ ۚ لَهَا مَا كَسَبَتْ

---

لتس اندر نیکوکار تہ قابل شخصو اندرہ یہندِ خیطرہ سوری کہنہ چھو۔ اِذْ قَالَ لَهٗ رَبُّهٗۤ اَسْلِمْ قَالَ اَسْلَمْتُ لِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ یلہ فرمووو لتس پننِ پروردگارن اسلام ان، فرمانبردار تہ مطیع سپد، عرض کورُن اسلام اون مہِ فرمانبرداری تہ اطاعت کٔر مہِ اختیار عالمین ہندِس پروردگارہ سٕنز۔ وَوَصّٰى بِهَاۤ اِبْرٰهٖمُ بَنِيْهِ امی کتھہ ہنز وصیت کٔر حضرتِ ابراہیمن پنہ نین فرزندن وَ يَعْقُوْبُ بیہ اچی وصیّت حضرتِ یعقوبن پنہ نین فرزندن، فرموونکھ يٰبَنِيَّ اِنَّ اللّٰهَ اصْطَفٰى لَكُمُ الدِّيْنَ ای میانیو فرزندو یژ پاٹھہِ اللہ تعالیٰ ان کور برگزیدہ تہندِ خیطرہ یہِ دینِ اسلام فَلَا تَمُوْتُنَّ اِلَّا وَاَنْتُمْ مُّسْلِمُوْنَ پس یُتھنہ مرِ وتھہ یمہِ دینہ ورای کُنہ دینس پیٹھہ۔ مرنس تانِ روزِ زیوہ تُہہ اَتھہِ دینس پیٹھہ اَمْ كُنْتُمْ شُهَدَآءَ اِذْ حَضَرَ يَعْقُوْبَ الْمَوْتُ کیاہ تُہہ آسُوہ موجود یمہِ وقتہ ووت حضرت یعقوبس مرنُک تہ یمہ عالمہ گژھنُک وقت اِذْ قَالَ لِبَنِيْهِ مَا تَعْبُدُوْنَ مِنْۢ بَعْدِىْ یمہ ساتہ تمِ پرژھ پنہ نین پنچوین تُہہ کمسنز عِبادت کٔرِو میہ پتہ قَالُوْا نَعْبُدُ اِلٰهَكَ وَاِلٰهَ اٰبَآئِكَ اِبْرٰهٖمَ وَاِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ تمو دوپ عبادت کرواَس چانس خدایہِ سنز بیہِ چانین بزرگ مالین ہندِس خدایہ سنز۔ تمِ گے حضرتِ ابراہیم۔ حضرتِ اسماعیل، حضرت اسحاق۔ اِلٰهًا وَّاحِدًا یُس خدا کُنیُ چھُو لاشریک وَّنَحْنُ لَهٗ مُسْلِمُوْنَ اس ساری چھِ لتس گردن دارہ ونِ یعنے تہندی مطیع تہ فرمانبردار تِلْكَ اُمَّةٌ قَدْ خَلَتْ یہِ آس جماعتھاہ (یعنی حضرتِ ابراہیم تہ

وَلَكُم مَّا كَسَبْتُمْ ۖ وَلَا تُسْـَٔلُونَ عَمَّا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿١٣٤﴾ وَقَالُوا كُونُوا هُودًا أَوْ نَصَارَىٰ تَهْتَدُوا ۗ قُلْ بَلْ مِلَّةَ إِبْرَٰهِـۧمَ حَنِيفًا ۖ وَمَا كَانَ مِنَ الْمُشْرِكِينَ ﴿١٣٥﴾ قُولُوٓا ءَامَنَّا بِاللَّهِ وَمَآ أُنزِلَ إِلَيْنَا وَمَآ أُنزِلَ إِلَىٰٓ إِبْرَٰهِـۧمَ وَإِسْمَٰعِيلَ وَإِسْحَٰقَ وَيَعْقُوبَ وَالْأَسْبَاطِ وَمَآ أُوتِيَ مُوسَىٰ وَعِيسَىٰ وَمَآ أُوتِيَ النَّبِيُّونَ مِن رَّبِّهِمْ لَا نُفَرِّقُ بَيْنَ أَحَدٍ مِّنْهُمْ وَنَحْنُ لَهُۥ مُسْلِمُونَ ﴿١٣٦﴾ فَإِنْ

---

تهند فرزند حضرتِ يعقوب ۽ تهندِ فرزند) بيشڪ يوسه گذرے يہِ۔ **لَهَا مَا كَسَبَتْ** تهنده نفعه خاطره ڇهُوتہِ يہِ تمو ڪرو يعني تمن بيہِ بڪارتہِ يہِ تمو ڪور **وَلَكُم مَّا كَسَبْتُمْ** تُهنده خيطره ڇهُوتہِ يہِ تهہ ڪَرِو يعني توهہِ بيہِ بڪارتہِ يہِ تُهہ ڪَرِو **وَلَا تُسْـَٔلُونَ عَمَّا كَانُوا يَعْمَلُونَ** توهيہِ بيہِ نه پرڙهنه ته، تُنهزهِ عملهِ هُند بڪار نيڇ ڇهنه گُهي۔ معلوم سپڊ بزرگن ته محبوبانِ الٰهين گن خالي نسبت گرنِ تهز متابعت ڪرنه وراي اتهه ڇهُونه ڪانهه فائده ته نفع **وَقَالُوا كُونُوا هُودًا أَوْ نَصَارَىٰ تَهْتَدُوا** ونان ڇهہِ يهُود اهل اسلامن۔ تُهه بنُوِ يهُود۔ نصاريٰ ڇهِڪهه ونان تُهه بنُوِ نصاري تمي سيت لبوِ تُهه سنز وَتهه۔ **قُلْ بَلْ مِلَّةَ إِبْرَٰهِـۧمَ حَنِيفًا** تُهه فرمو يوڪه هر گز بنو نه اَسِ يهُود ته نصاري بلڪه ڪَر اسهِ اختيار حضرتِ ابراهيم عليه اسلامه سنز وَتهه يوسه سنز وَتهه ڇهه۔ **وَمَا كَانَ مِنَ الْمُشْرِكِينَ** اوس نه حضرتِ ابراهيم هر گز مُشرِگو اندره **قُولُوٓا ءَامَنَّا بِاللَّهِ** اے مُسلمانو وَنِو تُهه تفصيلاڪهِ ايمان اون اسهِ ڪَنِس خدائس **وَمَآ أُنزِلَ إِلَيْنَا وَمَآ أُنزِلَ إِلَىٰٓ إِبْرَٰهِـۧمَ وَإِسْمَٰعِيلَ وَإِسْحَٰقَ وَيَعْقُوبَ وَالْأَسْبَاطِ** بيہِ انُوِ ايمان تهه ڪتابه يوسه اسهِ گن آيہِ سوزنه۔ تهه ڪتابهِ يوسه حضرتِ ابراهيمس عليه السلام، حضرتِ اسماعيلس عليه السلام، حضرتِ اسحاقس عليه السلام، حضرتِ يعقوبس بيہِ تهندين اولادن گن آيہِ سوزنه **وَمَآ أُوتِيَ مُوسَىٰ وَعِيسَىٰ** بيہِ يوسه ڪتاب عطا ڪرنه آيه حضرتِ موسيٰ اَس حضرتِ عيسيٰ اَس **وَمَآ أُوتِيَ النَّبِيُّونَ مِن رَّبِّهِمْ** بيہِ يمهِ ڪتابه عطا ڪرنه آيه بين پيغمبرن پنه نِس پروردگار سندِه طرفه۔ **لَا نُفَرِّقُ بَيْنَ أَحَدٍ مِّنْهُمْ** اَسِ ڇهنه يمو اندره ڪانسهِ اَڪسِ منز فرق ڪران **وَنَحْنُ لَهُۥ مُسْلِمُونَ** اَسِ

فَاِنْ اٰمَنُوْا بِمِثْلِ مَآ اٰمَنْتُمْ بِهٖ فَقَدِ اهْتَدَوْا ۚ وَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّمَا
هُمْ فِيْ شِقَاقٍ ۚ فَسَيَكْفِيْكَهُمُ اللّٰهُ ۚ وَهُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ﴿١٣٧﴾
صِبْغَةَ اللّٰهِ ۚ وَمَنْ اَحْسَنُ مِنَ اللّٰهِ صِبْغَةً ۫ وَّنَحْنُ لَهٗ
عٰبِدُوْنَ ﴿١٣٨﴾ قُلْ اَتُحَآجُّوْنَنَا فِي اللّٰهِ وَهُوَ رَبُّنَا وَرَبُّكُمْ ۚ وَلَنَآ
اَعْمَالُنَا وَلَكُمْ اَعْمَالُكُمْ ۚ وَنَحْنُ لَهٗ مُخْلِصُوْنَ ﴿١٣٩﴾ اَمْ تَقُوْلُوْنَ
اِنَّ اِبْرٰهٖمَ وَاِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ وَالْاَسْبَاطَ كَانُوْا

---

چھِ تہندی فرمانبردار فَاِنْ اٰمَنُوْا بِمِثْلِ مَآ اٰمَنْتُمْ بِهٖ پس ہر گاہ تِمو یہودو تہٕ نصاریٰ اوپڑھ کٔرِ یتھ پاٹھِ
توہہِ پڑھہ کٔروہ فَقَدِ اهْتَدَوْا پس بتحقیق وتھ لٔب تِمو وَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّمَا هُمْ فِيْ شِقَاقٍ ہر گاہ تِمِ
اعراضی کرن توہہِ سیت، یمن کتھن اندر موافقت کرن نہ۔ پس چھنہ تِم مگر چھِ نِنس مخالفس پیٹھ۔
مگر تُہہ مہ بَرِو تہندِہ مخالفتُک کانہہ پروا۔ فَسَيَكْفِيْكَهُمُ اللّٰهُ تُہہِ چھُو بس اللہ تعالیٰ سُو کرہ پانے
عنقریب توہہِ نِشہِ تُہند شر دُور وَهُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ سُی چھُو سورُی بوزٕن سورُے زانٕن تہنزٕ
کتھ۔ تہٕ تہنزٕ کتھ چھُو بوزان۔ تہُند حال چھُو پُور زانان۔ سُو اَنزراوِہ نیاے پانٔے۔ تُہہ مہ بَرِو کانہہ فکرِ۔
اے مُسلمانو تُہہ دِپواَسِ روزو دینہ کسِ تتھہ حالتس پیٹھ مضبوط یس حالتس پیٹھ اَس اللہ تعالیٰ اَن رنگمتِ
چھِ صِبْغَةَ اللّٰهِ اَسِ چھِ رنگنہ آمتِ خدایہٕ سندِہ رنگ سیت یُس نہ زانہہ ڈلِہ تہٕ تغیر سپدِہ۔ وَمَنْ
اَحْسَنُ مِنَ اللّٰهِ صِبْغَةً خدایہٕ سندِہ خوتہٕ کُس ہیکہ رُت رنگ دِتھ۔ وَّنَحْنُ لَهٗ عٰبِدُوْنَ اَسِ چھِ
تہنزی یاژ بندگی کران قُلْ اَتُحَآجُّوْنَنَا فِي اللّٰهِ فرماویو کھ تُہہ یارسول اللہ اے یہودو تہٕ نصاریٰ اوتُہہ
چھوہ اسہِ سیت خدایہٕ سندِس معاملس اندر ہر کران وَهُوَ رَبُّنَا وَرَبُّكُمْ حالانکہِ سُو چھُو سون پروردگار تہٕ
تُہند پروردگار تہٕ وَلَنَآ اَعْمَالُنَا وَلَكُمْ اَعْمَالُكُمْ اسہِ ین بکارپنہ عملہ۔ توہہِ ین بکارپنہٕ عملہ۔ ہَری کتھ
پیٹھ چھہ لاگن وَنَحْنُ لَهٗ مُخْلِصُوْنَ اَس چھِ تہندی رضاخیطرہ سارے عملہ کران۔ اسہِ منز چھُو
اخلاص اعتقاد تہٕ اخلاص عمل تہٕ۔ اَمْ تَقُوْلُوْنَ اِنَّ اِبْرٰهٖمَ وَاِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ وَالْاَسْبَاطَ

هُوْدًا اَوْ نَصٰرٰی ؕ قُلْ ءَاَنْتُمْ اَعْلَمُ اَمِ اللّٰهُ ؕ وَمَنْ اَظْلَمُ

مِمَّنْ كَتَمَ شَهَادَةً عِنْدَهٗ مِنَ اللّٰهِ ؕ وَمَا اللّٰهُ بِغَافِلٍ

عَمَّا تَعْمَلُوْنَ ﴿۱۴۰﴾ تِلْكَ اُمَّةٌ قَدْ خَلَتْ ۚ لَهَا مَا كَسَبَتْ وَلَكُمْ

مَّا كَسَبْتُمْ ۚ وَلَا تُسْــَٔلُوْنَ عَمَّا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿۱۴۱﴾ ع

سَيَقُوْلُ السُّفَهَآءُ مِنَ النَّاسِ مَا وَلّٰىهُمْ عَنْ قِبْلَتِهِمُ

الَّتِيْ كَانُوْا عَلَيْهَا ؕ قُلْ لِّلّٰهِ الْمَشْرِقُ وَالْمَغْرِبُ ؕ يَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ

---

كَانُوْا هُوْدًا اَوْ نَصٰرٰی کیاہ تُہہ چھوِہ ونان کہ حضرتِ ابراہیم تہٕ حضرتِ اسمٰعیل۔ حضرت اسحاق تہٕ حضرتِ یعقوب بیٚہ تہندِ اولاد تمِ کیا آسِ یہُودیا نصاریٰ قُلْ فرماویُو کھ تُہہ یا رُسول اللہ مختصر پاٹھہِ ءَاَنْتُمْ اَعْلَمُ اَمِ اللّٰهُ اکی یہُود وتہٕ نصاریٰ اَو تُوہہ چھوا خبر زیادہ کنہ اللہ تعالیٰ اس۔ یہِ چھہ ظاہرِ کتھ کہ زیادہ خبر چھہ اللہ تعالیٰ سے۔ اللہ تعالیٰ ان فرموو کہ تمِ حضراتِ انبیاء آسِ ملّتِ اسلا میس پیٹھہ تُوہہ تہٕ چھوِہ اچھ خبر مگر تُہہ چھوِہ سو خبر کھٹان وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنْ كَتَمَ شَهَادَةً عِنْدَهٗ مِنَ اللّٰهِ بیٚہ کُس اکھاہ چھوِہ یڑ ظالمِ تس شخصہ سندِہ کھوتہٕ یم کھٹ سو حقیقت حال یوسہ تس خدایہٕ سندِہ طرفہ معلُوم سپز مژ آس وَمَا اللّٰهُ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعْمَلُوْنَ توپتہٕ چھُونہ اللہ تعالیٰ تہندیو کرتو تو نشہِ بے خبر تِلْكَ اُمَّةٌ قَدْ خَلَتْ یہِ آسہ بزرگن ہنز اکھ جماعتھاہ یوسہ گذرے یہِ لَهَا مَا كَسَبَتْ وَلَكُمْ مَّا كَسَبْتُمْ تمن بیٚہ بکارتہِ یہ تمو کور تُوہہ بیٚہ بکارتہِ یہ تُوہیہِ کوروہ وَلَا تُسْــَٔلُوْنَ عَمَّا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ تُوہیہِ بیٚہ نہ پرژھنہ تہٕ تمیُک یہِ تمِ کران آسِ۔ یمہِ آیہِ کریمہ سیت سپدُ معلُوم کہ یمِ لُوکھ پننِ پان منسوب کرن کُنہِ تھدِس خاندانس کُن مگر اعمال وافعال آسکھ نہ تتھہ خاندانس موافق تہٕ مُناسب تمن دیہ نہ کانہہ فائدہ سو ظاہری نسبت۔ کنعانس دُیت نہ کانہی فائدہ پیغمبر زادہ آسنن۔ سَيَقُوْلُ السُّفَهَآءُ مِنَ النَّاسِ مَا وَلّٰىهُمْ عَنْ قِبْلَتِهِمُ الَّتِيْ كَانُوْا عَلَيْهَا وونِ ونن ضرور بے وقوف لُکھ کم چیزن پھر یمِ مُسلمان تمہِ قبلہ نشہِ یتھ کُن یمِ ونھتام آسِ نماز پران یعنی بیتُ المقدّس۔ قُلْ لِّلّٰهِ الْمَشْرِقُ وَالْمَغْرِبُ

اِلٰی صِرَاطٍ مُّسْتَقِیْمٍ ﴿١٤٢﴾ وَكَذٰلِكَ جَعَلْنٰكُمْ اُمَّةً وَّسَطًا لِّتَكُوْنُوْا شُهَدَآءَ
عَلَى النَّاسِ وَیَكُوْنَ الرَّسُوْلُ عَلَیْكُمْ شَهِیْدًا ؕ وَمَا جَعَلْنَا الْقِبْلَةَ الَّتِیْ
كُنْتَ عَلَیْهَآ اِلَّا لِنَعْلَمَ مَنْ یَّتَّبِعُ الرَّسُوْلَ مِمَّنْ یَّنْقَلِبُ عَلٰی عَقِبَیْهِ ؕ
وَاِنْ كَانَتْ لَكَبِیْرَةً اِلَّا عَلَى الَّذِیْنَ هَدَى اللّٰهُ ؕ وَمَا كَانَ اللّٰهُ
لِیُضِیْعَ اِیْمَانَكُمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ بِالنَّاسِ لَرَءُوْفٌ رَّحِیْمٌ ﴿١٤٣﴾ قَدْ نَرٰی تَقَلُّبَ
وَجْهِكَ فِی السَّمَآءِ ۚ فَلَنُوَلِّیَنَّكَ قِبْلَةً تَرْضٰىهَا ۠ فَوَلِّ وَجْهَكَ شَطْرَ

---

فرماویجھُ تہہ یارسول اللہ خدا یہ سنڈوی ڇھو مشرق ته مغرب ته پر یتھ طرفاہ سُوی ڇھو سارنی طرفن ہُند مالِک۔ کانسہِ اَکسِ ڇھُونہ حق داتان چون وچرا کرنُک۔ یُوہے اِعتقاد آسن شریعتیکن حُکمن متعلق گوراہِ راست **یَهْدِیْ مَنْ یَّشَآءُ اِلٰی صِرَاطٍ مُّسْتَقِیْمٍ** سُو ڇھُو وتھ ہاوان یس یژھان ڇھُو تہ تس اتھ سیزہ وتہِ گُن۔ یعنے سُو ڇھونہ ونان احکام اسلامن اندر، ہو کیازِہ تہ یہِ کونہ **وَكَذٰلِكَ** یتھ پاٹھِ قبلہ تُہند کوراسہِ بہتر قبلہ یتھے پاٹھِ **جَعَلْنٰكُمْ اُمَّةً وَّسَطًا** کُر وہ اسہِ توہ جماعتھاہ درمیانہ **لِّتَكُوْنُوْا شُهَدَآءَ عَلَى النَّاسِ** یتھ بنو تُہہ گواہ حضراتِ انبیاء ان ہندِہ خیطرہ تہندین اُمتن پیٹھ **وَیَكُوْنَ الرَّسُوْلُ عَلَیْكُمْ شَهِیْدًا** بیہ سپدن پیغمبر برحق حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلّم تُہند گواہ صفائی **وَمَا جَعَلْنَا الْقِبْلَةَ الَّتِیْ كُنْتَ عَلَیْهَآ** بیہِ کورنہ اَسہِ مقرر سُو طرف قبلہ۔ یتھ کُن توہ ونکتام نماز پران آسِوہ یعنے بیت المقدس **اِلَّا لِنَعْلَمَ مَنْ یَّتَّبِعُ الرَّسُوْلَ مِمَّنْ یَّنْقَلِبُ عَلٰی عَقِبَیْهِ** مگر یہے کتھ نزراونہ خیطرہ کہ کُس اکھاہ کرِہ متابعت تہ پیروی پیغمبر کریمہ سنز۔ بیہِ کُس پھیر بُتھ متابعتہ نشہ **وَاِنْ كَانَتْ لَكَبِیْرَةً** پزپاٹھِ یہ قبلہ بدلاوُن گذریو سیٹھاہ دشوار ضیعف الایمان لُکن پیٹھ **اِلَّا عَلَى الَّذِیْنَ هَدَى اللّٰهُ** مگر تِمن لُوکن نہ یمن ہدایت کور، وتھ ہاو اللہ تعالیٰ اَن۔ **وَمَا كَانَ اللّٰهُ لِیُضِیْعَ اِیْمَانَكُمْ** اللہ تعالیٰ ڇھونہ تِتھ سُو کیاہ کرِہ تہُند ایمان یعنی نماز ضائع۔ یوسہ توہہ بیت المقدّسس کُن بُتھ کُرِتھ پروہ **اِنَّ اللّٰهَ بِالنَّاسِ لَرَءُوْفٌ رَّحِیْمٌ** پزپاٹھِ اللہ تعالیٰ ڇھو تِھمن لوکن ہندِہ خیطرہ سیٹھاہ شفیق تہ مہربان۔ **قَدْ نَرٰی تَقَلُّبَ وَجْهِكَ فِی السَّمَآءِ** پزپاٹھِ اَسِ ڇھِ وچھان تُہند

الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ ۭ وَحَيْثُ مَا كُنْتُمْ فَوَلُّوْا وُجُوْهَكُمْ شَطْرَهٗ ۭ وَاِنَّ الَّذِيْنَ
اُوْتُوا الْكِتٰبَ لَيَعْلَمُوْنَ اَنَّهُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّهِمْ ۭ وَمَا اللّٰهُ بِغَافِلٍ عَمَّا
يَعْمَلُوْنَ ﴿۱۴۴﴾ وَلَىِٕنْ اَتَيْتَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ بِكُلِّ اٰيَةٍ مَّا تَبِعُوْا
قِبْلَتَكَ ۚ وَمَآ اَنْتَ بِتَابِعٍ قِبْلَتَهُمْ ۚ وَمَا بَعْضُهُمْ بِتَابِعٍ قِبْلَةَ بَعْضٍ ۭ
وَلَىِٕنِ اتَّبَعْتَ اَهْوَاۗءَهُمْ مِّنْۢ بَعْدِ مَا جَاۗءَكَ مِنَ الْعِلْمِ ۙ اِنَّكَ

---

پھرِ پھرو چھُن آسمانس کُن تحویل قبلکُ حکم کرسناسپدِ ہ نازِل **فَلَنُوَلِّيَنَّكَ قِبْلَةً تَرْضٰىهَا** پس پھرو وہ اُسہِ تُہہ تتھ قبلس کُن یُس توہہِ پسند چھو **فَوَلِّ وَجْهَكَ شَطْرَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ** وٕنِ چھہِ حُکم کران اَسِ توہہِ کہ پھرِ وبُتھ پٕنن نماز پرنہِ وقتہ مسجد حرامَس کُن۔ یعنے کعبہ شریفس کُن۔ یہ واقعہ تحویل قبلہ چھُو سپدُمُت ژندرووارِہ دوہہَ درمیانِ ماہِ رجب ہجریکہِ دوٕیمہِ وَرِہہَ در مسجد نبوی۔ خانہ کعبس کن آیہ دگر نماز پرنہ (بخاری و مسلم) امہ تحویلہ قبلُک خبر ییمہ ساعتہ بنی سلمہ چہ مسجد والن واژِ تم آس دگر نماز ہنز دوٕیمہ رکعژ منز اک صاحبین فرماوَبہ چھس گواہی دِون کہ میہ پٔر نماز بنی کریمس صلی اللہ علیہ و سلم سیت مکہ ہس کُن۔ یم صحابہ صیب سپٔد خانہ کعبس کن نماز منزی متوجہ توی پیو اَتھ مسجد مسجد قبلتینِ ناو **وَحَيْثُ مَا كُنْتُمْ فَوَلُّوْا وُجُوْهَكُمْ شَطْرَهٗ** یہ چھُو نہ توہی یوٚت حُکم خصوصی بیہِ چھُو یہ حُکم توہہِ تہِ تُہندین اَمتین تہِ۔ تُہہِ ساری یتہِ آسو پریتھ جایہِ کٔروِ پٕنن بُتھہ نمازِہ اندر مسجدِ حرامس کُن۔ یُس مسجدِ احرام کعبہ شریفس اَندِ اَند چھُو۔ **وَاِنَّ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ لَيَعْلَمُوْنَ اَنَّهُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّهِمْ** پزپاٹھ اہل کتاب چھہِ یقیناً زانان کہ یہ حُکم چھُو پوز حُکم تہندس خدایہ سندی طرفہ کیازہ تمو چھُو پورمُت توراتس اندر کہ پیغمبر آخرالزامان پرہِ نماز دون قبلن کُن **وَمَا اللّٰهُ بِغَافِلٍ عَمَّا يَعْمَلُوْنَ** بیہِ چھُو نہ اللہ تعالیٰ بے خبر یہودن ہنز و کامیو نشہِ تمِ انکار قبلہ کران چھہِ **وَلَىِٕنْ اَتَيْتَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ بِكُلِّ اٰيَةٍ مَّا تَبِعُوْا قِبْلَتَكَ** قسم ہاوِت چھُوس بو فرماوان کہ ہرگاہ تُہہ تمن یہودن اہلِ کتابن سارے دلیلہ فرماویو تو تہِ کرن نہ تمِ تہندِس قبلس خانہ کعبس قبول۔ **وَمَآ اَنْتَ بِتَابِعٍ قِبْلَتَهُمْ** تُہہ تہِ ہیکو نہ اختیار تہ قبول کٔرتھ تہندس

اِذًا لَّمِنَ الظّٰلِمِیْنَ ﴿۱۴۵﴾ اَلَّذِیْنَ اٰتَیْنٰهُمُ الْكِتٰبَ یَعْرِفُوْنَهٗ كَمَا یَعْرِفُوْنَ اَبْنَآءَهُمْ ؕ وَ اِنَّ فَرِیْقًا مِّنْهُمْ لَیَكْتُمُوْنَ الْحَقَّ وَ هُمْ یَعْلَمُوْنَ ﴿۱۴۶﴾ اَلْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ فَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُمْتَرِیْنَ ﴿۱۴۷﴾ وَ لِكُلٍّ وِّجْهَةٌ هُوَ مُوَلِّیْهَا فَاسْتَبِقُوا الْخَیْرٰتِ ؕ اَیْنَ مَا تَكُوْنُوْا یَاْتِ بِكُمُ اللّٰهُ جَمِیْعًا ؕ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ ﴿۱۴۸﴾ وَ مِنْ حَیْثُ خَرَجْتَ فَوَلِّ وَجْهَكَ

---

قبلس وَمَا بَعْضُهُمْ بِتَابِعٍ قِبْلَةَ بَعْضٍ تمن چھو توپتہ پانہ وان تہ اختلاف یہود تہ چھنہ کران تسلیم نصاران ہندس قبلس یُس مشرقس کُن چھُو۔ نصاری چھنہ کران تسلیم یہودن ہندس قبلس یُس مغربس کُن چھُو۔ تمن دون جمع سپدُن چھُو سیٹھاہ دشوار وَلَئِنِ اتَّبَعْتَ اَهْوَآءَهُمْ مِّنْ بَعْدِ مَا جَآءَكَ مِنَ الْعِلْمِ اگر وُنہ تہ تہندین یمن نفسانی خواہشن تہ خیالاتن اختیار کرو۔ توہہ نشہِ علم قطعی وحی الٰہی واتتھ اِنَّكَ اِذًا لَّمِنَ الظّٰلِمِیْنَ یقیناً اَیو تتھ صورتس اندر توہِ تہ شمار کرنہ حکم عدولی کرونیوا اندرہ یمہ اندرہ چھُو مطلب امتس وُن۔ اگرچہ خطاب آو کرنہ نبی کرتمس کُن اَلَّذِیْنَ اٰتَیْنٰهُمُ الْكِتٰبَ یَعْرِفُوْنَهٗ كَمَا یَعْرِفُوْنَ اَبْنَآءَهُمْ تم لوکھ یمن اسہِ عطاکر کتاب یعنی توراۃ وانجیل تم چھہِ پرزہ ناوان اُمس پیغمبر برحقس تتھہ پاٹھہ یتھ پاٹھہِ پرزہ ناوان چھہِ پنہ نین پچوین تموبشارتو موجب یمہِ بیان آمژہ چھہ کرنہ تہنزن کتابن اندر وَ اِنَّ فَرِیْقًا مِّنْهُمْ لَیَكْتُمُوْنَ الْحَقَّ وَ هُمْ یَعْلَمُوْنَ باوجود آں چھہِ تمو اندرہ اکھ جماعتھاہ ضرور پوزکھٹان زانتِ کرتھ۔ اَلْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ فَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُمْتَرِیْنَ یہ پوز حکم تحویل قبلس متعلق چھُو تُہندس پروردگارسندہ طرفہ۔ پس مہ آسو تردد کروونیو اندرہ۔ یمن امورن ہُند پوز آسُن چھُو ثابت تہندس پروردگارسندہ طرفہ۔ لہٰذا چھُو پرت اَکس وننہ یوان کہ ہرگزمہ آس شک وشبہ کرہ ونیو اندرہ۔ وَ لِكُلٍّ وِّجْهَةٌ هُوَ مُوَلِّیْهَا پریتھ آکس دیندارس چھُو اوسمت اکھ اکھ طرفاہ قبلہ خیطرہ یتھ کُن سُو پھیران اوس۔ دین محمدی تہ چھُو اکھ مستقل دیناہ۔ اتھ تہ کور اللہ تعالیٰ اَن مستقل اکھ قبلا مقرر۔ مقصد چھُو عبادت تہ رژہ کامہ کرنہِ فَاسْتَبِقُوا الْخَیْرٰتِ پس کرِ وُتہہ اے مسلمانو نیکین منز برنٹھہ گژھنچ

شَطْرَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ ۖ وَإِنَّهُ لَلْحَقُّ مِن رَّبِّكَ ۗ وَمَا اللَّهُ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعْمَلُونَ ﴿١٤٩﴾ وَمِنْ حَيْثُ خَرَجْتَ فَوَلِّ وَجْهَكَ شَطْرَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ ۚ وَحَيْثُ مَا كُنتُمْ فَوَلُّوا وُجُوهَكُمْ شَطْرَهُ لِئَلَّا يَكُونَ لِلنَّاسِ عَلَيْكُمْ حُجَّةٌ إِلَّا الَّذِينَ ظَلَمُوا مِنْهُمْ فَلَا تَخْشَوْهُمْ وَاخْشَوْنِي وَلِأُتِمَّ نِعْمَتِي عَلَيْكُمْ وَلَعَلَّكُمْ تَهْتَدُونَ ﴿١٥٠﴾ كَمَا أَرْسَلْنَا فِيكُمْ رَسُولًا مِّنكُمْ

---

کوشش کیازہ۔ أَيْنَ مَا تَكُونُوا يَأْتِ بِكُمُ اللَّهُ جَمِيعًا تھہ یتہٕ آسو تہ تتہٕ، سارنی انہِ وہ سونبرت اِکہ وٹہ اللہ تعالیٰ پُنن فیصلہ بوزناونہ خیطرہ قیامتھ دوہہ نیکو کارن دِیہ رُت جزا بد کارن دیہ سخت سزا إِنَّ اللَّهَ عَلَىٰ كُلِّ شَيْءٍ قَدِيرٌ یُس پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو پرٛیتھ چیزس پیٹھ قدرتہٕ وول وَمِنْ حَيْثُ خَرَجْتَ فَوَلِّ وَجْهَكَ شَطْرَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ مکرّر چھُو بیہ وننہ یوان۔ یمہ طرفہ تُہہ نیر وسفرس مغربکہ طرفہ یا مشرقہ کہ طرفہ یا شمالکہ طرفہ یا جنوبکہِ طرفہ۔ پرٛیتھ جایہ پیٹھ گژھہ نمازہ منزہ بُتھہ کُرن مسجدِ حرامس یعنے کعبہ شریفس کُن وَإِنَّهُ لَلْحَقُّ مِن رَّبِّكَ بیشک یہ حُکم چھُو پزپاٹھ تُہندس پروردگارسندہ طرفہ وَمَا اللَّهُ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعْمَلُونَ بیہ چھُو نہ اللہ تعالیٰ بے خبر تُہنز و کامیونشہِ وَمِنْ حَيْثُ خَرَجْتَ فَوَلِّ وَجْهَكَ شَطْرَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ بیہ چھُو یہِ حُکم بیان یوان کرنہ کہ یمہ طرفہ تُہہ نیبر نیرو سفرس، پرٛیتھ جایہ پیٹھ گژھہ نمازہ منز بُتھہ کُرن مسجد حرامس یعنی کعبہ شریفس کُن۔ یہ حُکم چھنہٕ توہی یوت بلکہ وَحَيْثُ مَا كُنتُمْ فَوَلُّوا وُجُوهَكُمْ شَطْرَهُ اے لُکو تُہہ تہٕ یتہٕ آسِو تتہٕ پیٹھ کٔرِو تُہہ پنن بُتھِ اَتھِ مسجد حرامس کُن یہ حُکم چھُوس بو فرماوان لِئَلَّا يَكُونَ لِلنَّاسِ عَلَيْكُمْ حُجَّةٌ یُتھنہٕ کُنہ قسمہ کتھ کرنک اعتراض کرنک موقعہ روزِ وہ لوکن یعنی یہُودن تہٕ مُشرکن إِلَّا الَّذِينَ ظَلَمُوا مِنْهُمْ سوای تمن لوکن یِمو پانِ پانس ظلم کٔر تمو اندرہ تُہند عناد تہٕ بُغض تھاونہ سیت۔ تِم کرہ نی طعنہ زنی بہر حال مگر فَلَا تَخْشَوْهُمْ وَاخْشَوْنِي تمن مہ کھوژو تُہنزن پامَن ہُندمہ بروکانہہ پرواہ کھوژان آسِو میانس حُکمس خلاف کرنس وَلِأُتِمَّ نِعْمَتِي عَلَيْكُمْ وَلَعَلَّكُمْ تَهْتَدُونَ بیہ چھُوس بویہِ حُکم فرماوان یُتھ پورا کٔرو پنن نعمت توہ پیٹھ بیہ یُتھ تُہہ دینہ کین

يَتْلُوْا عَلَيْكُمْ اٰيٰتِنَا وَيُزَكِّيْكُمْ وَيُعَلِّمُكُمُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ وَيُعَلِّمُكُمْ مَّا
لَمْ تَكُوْنُوْا تَعْلَمُوْنَ ﴿١٥١﴾ فَاذْكُرُوْنِيْٓ اَذْكُرْكُمْ وَاشْكُرُوْا لِيْ وَلَا تَكْفُرُوْنِ ﴿١٥٢﴾ ع
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اسْتَعِيْنُوْا بِالصَّبْرِ وَالصَّلٰوةِ ۭ اِنَّ اللّٰهَ مَعَ الصّٰبِرِيْنَ ﴿١٥٣﴾
وَلَا تَقُوْلُوْا لِمَنْ يُّقْتَلُ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ اَمْوَاتٌ ۭ بَلْ اَحْيَاۗءٌ وَّلٰكِنْ لَّا
تَشْعُرُوْنَ ﴿١٥٤﴾ وَلَنَبْلُوَنَّكُمْ بِشَيْءٍ مِّنَ الْخَوْفِ وَالْجُوْعِ وَنَقْصٍ مِّنَ

---

احکامن گُن وَتھ لبو اسلامس پیٹھہ مضبوطی سان قائمِ رُوزِو۔ چونکہ قبلک معاملہ اوس نہایت مہتم
بالشان مخالفو اوس اتھہ پیٹھہ سیٹھاہ شور تُلمت بیہ اوس امہِ کین بعضی جزٔیاتن اندر تردد سپد نک احتمال
لہذا آو یہ حکم مکرر بیان کرنہ امیہ کِنی ساری پہلوَن ہُند لحاظ تھاوت امہ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان کعبہ
شریفہ کہ مقبولیتکُ دعا کوراسہِ قبول۔ سُو بنو واسہِ اہل اسلامن ہُند قبلہ یتھہ پاٹھ اسہِ حضرتِ ابراہیمہ
سند بیاکھ دعا درحق بعثت پیغمبر آخر الزمان صلی اللہ علیہ وسلم قبول کور كَمَآ اَرْسَلْنَا فِيْكُمْ رَسُوْلًا مِّنْكُمْ
کعبہ شریف بنوَو اسہ اہلِ اسلامن ہندَہ خیطرہ قبلہ یتھہ پاٹھِ اسہِ سُوز توہیہِ گُن عظیم الشان پیغمبر اہ توہی
منزہ يَتْلُوْا عَلَيْكُمْ اٰيٰتِنَا یُس سانِ آیات پٔرِ پٔر توہہ بوزہ ناوان چھُو وَيُزَكِّيْكُمْ بیہ چھُوہ توہہِ پاک
وصاف کران شرکچہِ تہ گونہن ہنزہ ناپاکی نشہِ وَيُعَلِّمُكُمُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ بیہِ چھُو توہیہِ ہیچھناوان قرآن مجید
گاٹہ جارچہِ کتھہ تہ طریق عمل وَيُعَلِّمُكُمْ مَّا لَمْ تَكُوْنُوْا تَعْلَمُوْنَ بیہ چھُوہ ہیچھناوان تمِ علوم تہ تمِ اسرار تمِ نہ تُہہ
کُنہ ہیچھِہِ ہوِ۔ امہِ امہِ قسیچہ نعمژہ کرہ موہ میہ عطا۔ فَاذْكُرُوْنِيْٓ اَذْكُرْكُمْ کٔرِو تُہہ میون یاد۔ بو کرہ تُہند یاد
وَاشْكُرُوْا لِيْ وَلَا تَكْفُرُوْنِ میانین نعمتن ہنز شکر گذاری کٔرِو میانِ حُکم ماننہ سیت۔ کفرانِ نعمت مہ کٔرِو
میان نافرمانی کرنہ سیت يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا اے بایمانو اسْتَعِيْنُوْا بِالصَّبْرِ وَالصَّلٰوةِ یاری تہ مدد ژھانڈ
واکھہ صبر کرنہ سیت کیازہ صبر چھُو پریتھہ کامیابی ہنز کو نز بیہِ نمازہ پرنہ سیت کیازہ نماز چھہ افضل
عبادات اِنَّ اللّٰهَ مَعَ الصّٰبِرِيْنَ پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو صبر کرونین سیت۔ نماز پرہ ونین سیت گو آسِتھی وَلَا
تَقُوْلُوْا لِمَنْ يُّقْتَلُ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ اَمْوَاتٌ بیہ مہ وُنوِ تِمن لُوکن یِم مارنہ ین تہ شہیدمِنِ کرنہ خدایہ سنزہِ وتہ

الْاَمْوَالِ وَالْاَنْفُسِ وَالثَّمَرٰتِ ؕ وَبَشِّرِ الصّٰبِرِيْنَ ﴿۱۵۵﴾ الَّذِيْنَ اِذَآ
اَصَابَتْهُمْ مُّصِيْبَةٌ ۙ قَالُوْٓا اِنَّا لِلّٰهِ وَاِنَّآ اِلَيْهِ رٰجِعُوْنَ ؕ ﴿۱۵۶﴾
اُولٰٓئِكَ عَلَيْهِمْ صَلَوٰتٌ مِّنْ رَّبِّهِمْ وَرَحْمَةٌ ۟ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُهْتَدُوْنَ ﴿۱۵۷﴾
اِنَّ الصَّفَا وَالْمَرْوَةَ مِنْ شَعَآئِرِ اللّٰهِ ۚ فَمَنْ حَجَّ الْبَيْتَ اَوِ اعْتَمَرَ
فَلَا جُنَاحَ عَلَيْهِ اَنْ يَّطَّوَّفَ بِهِمَا ؕ وَمَنْ تَطَوَّعَ خَيْرًا ۙ فَاِنَّ اللّٰهَ

---

اندر یعنی دینہ خیطرہ تم چھ مُردہ بَلْ اَحْيَآءٌ وَّلٰكِنْ لَّا تَشْعُرُوْنَ بلکہ چھہِ تم اِمہِ مخصوص حیاتہ سیت زندٕ ے۔ مگر تُہہِ ہیکو نہ تمہٕز زندگی محسوس کٔرِتھ کیازہ سو چھہ یمہِ زندگی خوتہ تمہٕز زندگی وَلَنَبْلُوَنَّكُمْ بِشَيْءٍ مِّنَ الْخَوْفِ وَالْجُوْعِ وَنَقْصٍ مِّنَ الْاَمْوَالِ وَالْاَنْفُسِ وَالثَّمَرٰتِ بیہ آزماوو اَسِ تُہہِ ضرور۔ کنیٚ شہاہ خوفہ سیت بیہ بوچھہ سیت۔ بیہ مال وجان تہ میون ہنٛدہ نقصانہ سیت۔ وچھو صبر کم کرن تہ بےصبری کم کرن وَبَشِّرِ الصّٰبِرِيْنَ بشارت فرماویو تُہہِ صبر کرہ ونین یم بڈین مصیبتن پیٹھہ تہِ صبر کرن لوکٹین مصیبتن پیٹھہ تہِ صبر کرن۔ یہنٛد عادت چھُو الَّذِيْنَ اِذَآ اَصَابَتْهُمْ مُّصِيْبَةٌ تمن یلہ کانہہ مصیبتاہ واتان چھو قَالُوْٓا اِنَّا لِلّٰهِ وَاِنَّآ اِلَيْهِ رٰجِعُوْنَ تمہِ ساتہ چہ تمہِ دپان اَسِ چھہ مال وجانہ تہ اولادن سان خدایہ سنٛدی ملک۔ بیہ چھہِ اَسِ تس کُن پتولاکہ رجوع کرہ ونِ اُولٰٓئِكَ عَلَيْهِمْ صَلَوٰتٌ مِّنْ رَّبِّهِمْ وَرَحْمَةٌ تیمہِ لُوکھ یمہِ تکالیف و مصیبتن پیٹھہ صبر کرہ ونِ تہ مصیبتہ کہِ وقتہ آیہ استرجاع یعنے اِنَّا لِلّٰهِ وَاِنَّا اِلَيْهِ رٰجِعُوْن پرہ ونِ آسن تمنی پیٹھہ چھہ خدایہ سندہ طرفہ بیشمار مہربانی بیہ بڈٕ رحمت وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُهْتَدُوْنَ بیہ چھہِ تیمہِ لُوکھ یمو پزیاٹھِ راہِ راست لوب۔ برونٛٹھمین آیاتِ کریمن منز آس ذکر خانہ کعبچ کہ سُو چھُو قبلو اَندرہ بہتر قبلہ عباد تو اندرہ بہتر عبادتس یعنے نمازہ اندر کٔر وِتھ پتہٕ اتھ خانہ کعبس کُن وٚنہ چھہ اُللہ تعالیٰ فرماوان اتھ متعلق بیہ اِمہِ بڈٕہ عبادچ ذکر سوکٔیہ عبادت حج اِنَّ الصَّفَا وَالْمَرْوَةَ مِنْ شَعَآئِرِ اللّٰهِ پزیاٹھ صفا مروہ یم زہ کوہ بیہ یمن منز سعے یعنی دورہ دور کرنِ چھہ پروردگارہ سندہِ دینہ کیو یادگارو تہ نشانو اندرہ فَمَنْ حَجَّ الْبَيْتَ اَوِ اعْتَمَرَ پس یتہٕ یم شخص حج ادا کرنہ خیطرہ احرام گونڈمت آسہ یا عمرہ کرنہ خیطرہ فَلَا

شَاكِرٌ عَلِيمٌ ﴿۱۵۸﴾ إِنَّ الَّذِينَ يَكْتُمُونَ مَا أَنْزَلْنَا مِنَ الْبَيِّنَاتِ وَالْهُدَىٰ
مِنْ بَعْدِ مَا بَيَّنَّاهُ لِلنَّاسِ فِي الْكِتَابِ ۙ أُولَٰئِكَ يَلْعَنُهُمُ اللَّهُ وَ
يَلْعَنُهُمُ اللَّاعِنُونَ ﴿۱۵۹﴾ إِلَّا الَّذِينَ تَابُوا وَأَصْلَحُوا وَبَيَّنُوا
فَأُولَٰئِكَ أَتُوبُ عَلَيْهِمْ ۚ وَأَنَا التَّوَّابُ الرَّحِيمُ ﴿۱۶۰﴾ إِنَّ الَّذِينَ
كَفَرُوا وَمَاتُوا وَهُمْ كُفَّارٌ أُولَٰئِكَ عَلَيْهِمْ لَعْنَةُ اللَّهِ وَالْمَلَائِكَةِ

---

جُنَاحَ عَلَيْهِ أَنْ يَطَّوَّفَ بِهِمَا تس چھنہ کانہہ حرج تہ گناہ اگر سُہ یمن دون کوہن درمیان دورہ دور کرہ
ستہِ پھرِ ہیتھ سعے وِنان چھہ وَمَنْ تَطَوَّعَ خَيْرًا بیہ یُس اکھاہ پننہِ خوشی سیت کانہہ رژ کاماہ کرہِ۔ فَإِنَّ
اللَّهَ شَاكِرٌ عَلِيمٌ پس پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھو نیکین ہنز قدر کرہ ون سورُی زانہ ون کمِ کوسہ کام کمہ نیتہ
کٔر إِنَّ الَّذِينَ بیشک تمِ لُوکھ يَكْتُمُونَ یم پوشیدہ چھہِ تھاوان مَا أَنْزَلْنَا مِنَ الْبَيِّنَاتِ وَالْهُدَىٰ یہ کیژھا اسہِ
نازل کرنیو دلیلوا ٔندرہ تہ ہدایہ اندرہ مِنْ بَعْدِ مَا بَيَّنَّاهُ لِلنَّاسِ فِي الْكِتَابِ وارہ پاٹھہِ لوکن ہندہِ خیطرہ
تورات وانجیلس منز وضاحتہ سان بیان کرنہ پتہ أُولَٰئِكَ يَلْعَنُهُمُ اللَّهُ وَ يَلْعَنُهُمُ اللَّاعِنُونَ اِمنی لوکن
پیٹھہ چھو اللہ تعالیٰ لعنت کران پزکھٹنہ خیطرہ بیہ چھہِ امنی بیہ لعنت کرہ وَن تہ لعنت کران۔ کیازہ یہندہِ
پزکھٹنہ سیت ووت نہ خدایہ سُند نور لوکن نشہِ إِلَّا الَّذِينَ تَابُوا وَأَصْلَحُوا وَبَيَّنُوا مگر یم لُوکھ توبہ کرن
یمو کامیو نشہِ پھیرن۔ بیہ سنبھالن پننہِ کامہِ دینِ اسلام قبول کرنہ سیت بیہ کرن وضاحت تمن کتھن ہنز
یمہِ پوشیدہ تہ کھٹت تھاوان آسِ فَأُولَٰئِكَ أَتُوبُ عَلَيْهِمْ پس یم لوکھ یم چھہِ یمن ہُند توبہ کرہ بو
قبول وَأَنَا التَّوَّابُ الرَّحِيمُ بوی چھوس سیٹھاہ توبہ قبول کرہ وُن سیٹھاہ رحم کرہ وُن۔ کانہہ توبہ کرہ
وُناہ گژھہِ آسُن إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا وَمَاتُوا وَهُمْ كُفَّارٌ پزپاٹھہ یم کُفر سی پیٹھہ رُودِ یمو یہودو اندرہ
بیہ مُودِ کُفر سی پیٹھہ۔ أُولَٰئِكَ عَلَيْهِمْ لَعْنَةُ اللَّهِ وَالْمَلَائِكَةِ وَالنَّاسِ أَجْمَعِينَ تمن لوکن پیٹھہ چھہ بدستور
خدایہ سنز لعنت۔ بیہ ملایکن ہنز لعنت۔ بیہ سارنی لوکن ہنز لعنت خَالِدِينَ فِيهَا تتھہِ لعنتس منز روزن
ہمیشہ۔ سُہ گو نارِ جہنم یُس لعنتک گھرہ چھو لَا يُخَفَّفُ عَنْهُمُ الْعَذَابُ لو ژراونہ تہ کم بیہ نہ کرن تمن نشہِ

وَالنَّاسِ اَجْمَعِيْنَ ﴿۱۶۱﴾ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ۚ لَا يُخَفَّفُ عَنْهُمُ الْعَذَابُ
وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ ﴿۱۶۲﴾ وَاِلٰهُكُمْ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ ۚ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الرَّحْمٰنُ
الرَّحِيْمُ ﴿۱۶۳﴾ اِنَّ فِيْ خَلْقِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاخْتِلَافِ الَّيْلِ
وَالنَّهَارِ وَالْفُلْكِ الَّتِيْ تَجْرِيْ فِي الْبَحْرِ بِمَا يَنْفَعُ النَّاسَ وَمَآ اَنْزَلَ
اللّٰهُ مِنَ السَّمَآءِ مِنْ مَّآءٍ فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا
وَبَثَّ فِيْهَا مِنْ كُلِّ دَآبَّةٍ ۪ وَّتَصْرِيْفِ الرِّيٰحِ وَالسَّحَابِ

---

عذاب وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ نہ یِیہِ تِمن مہلت دِنہ وَاِلٰهُكُمْ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ بیہ چھِو معبود تُہند کُنوی معبود داہ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ کانہہ معبود داہ چھُونہ تَس ورای۔ کانہہ چیز اہ چھُونہ سزاوار عباد تَس، تَس اَکِس ذاتس ورای کیازہ تہند صفت چھِو الرَّحْمٰنُ الرَّحِيْمُ عام رحمتہ وول، خاص رحمتہ وول۔ یِس منز یِم زہ صِفت آسَن سُوی چھِو معبود آسنس سزاوار۔ یلہِ یہ آیہ کریمہ وَاِلٰهُكُمْ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ نازل سپُد۔ کافرِ لگِ وننہِ اَچھ دلیل کیا چھہ اَتی سپُد نازِل اِنَّ فِيْ خَلْقِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ پزپاٹ آسمانن ہندس تہ زمینِ ہندِس پیدہ کرنس اندر وَاخْتِلَافِ الَّيْلِ وَالنَّهَارِ راتہ کِس تہ دوہہ کِس اِنس تہ گژھنس اندر۔ وَالْفُلْكِ الَّتِيْ تَجْرِيْ فِي الْبَحْرِ بیہ تِمن ناوَن تہ جہازن اندر یِم سمندرن تہ دریاون اندر پکان چھہ بِمَا يَنْفَعُ النَّاسَ تمِ چیز تہ سامانہ ہیت یِمہِ سیت لوکن نفع تہ فائدہ واتان چھِو۔ وَمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ مِنَ السَّمَآءِ مِنْ مَّآءٍ بیہ تتھہ آبس منز یُس اللہ تعالیٰ چھِو آسمانکہِ طرفہ ابرہ منزہ نازِل کران فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا یُس چھِو تمی سیت مردہ زمینس زندہ کران وَبَثَّ فِيْهَا مِنْ كُلِّ دَآبَّةٍ بیہ چھِو چھکراوان اتھہ زمینس اندر پریتھہ قسمک جاندار وَّتَصْرِيْفِ الرِّيٰحِ بیہ واوِن ہندِس اورہ یور کرنس اندر وَالسَّحَابِ الْمُسَخَّرِ بَيْنَ السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ بیہ تتھہ ابرس منز یُس رام تابع تہ فرمانبردار چھِو یُس الوند چھِو آسمانس تہ زمینس درمیان لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ پزپاٹ بُڈ بُڈ نشانہ چھہ یِمن ستن چیزن اندر عقلہِ والین ہندِ خیطرہ۔ پریتھہ چیز اہ چھِو دلالت کران تہندس خالق مطلق تہ معبود برحق آسنس پیٹھہ وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَّتَّخِذُ مِنْ

الْمُسَخَّرِ بَيْنَ السَّمَآءِ وَالْأَرْضِ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ ﴿١٦٤﴾
وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَّتَّخِذُ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ اَنْدَادًا يُّحِبُّوْنَهُمْ كَحُبِّ
اللّٰهِ ؕ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَشَدُّ حُبًّا لِّلّٰهِ ؕ وَلَوْ يَرَى الَّذِيْنَ ظَلَمُوْٓا اِذْ
يَرَوْنَ الْعَذَابَ ۙ اَنَّ الْقُوَّةَ لِلّٰهِ جَمِيْعًا ۙ وَّاَنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعَذَابِ ﴿١٦٥﴾
اِذْ تَبَرَّاَ الَّذِيْنَ اتُّبِعُوْا مِنَ الَّذِيْنَ اتَّبَعُوْا وَرَاَوُا الْعَذَابَ

---

دُوْنِ اللّٰهِ اَنْدَادًا بيه ڇهِ لوڪو اندر ﮦ بعضے لُوکھ يم ٺهراوان ڇهِ خدايس وراى ﭬين خدايہ سندہ ہم پلہِ تہ برابر يُّحِبُّوْنَهُمْ كَحُبِّ اللّٰهِ تهندى محبت ڇهِ ٿوان خدايہِ سُند ہيو محبت۔ تمنى ڇهِ عبادتس اندر، اطاعتس اندر خدايہِ سندِ شريک ٿاوان۔ خيال ڇهُو کھ يم ڇهِ ذريعہ تہ واسطہ، سفارش کرہ ڈن خدايس نشہ يمن تہِ ڇهُو اندرونى طاقت قدرتس اندريا کانہہ دخلاہ خدايہِ سنزن کامين اندر وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَشَدُّ حُبًّا لِّلّٰهِ مگر يمو لوکو پڑھ کُر خدايہِ سندس کُن آسنس تمن ڇهُو سارنى ہندہ خو تہ خدايہِ سندوى سخت محبّت کيازہ تمن ڇهُو يقين کہ سۄى ڇهُو سورُى عطا کرہ ڈن تہ بيہ نہ کانہہ۔ تمِ ڇهِنہ منگان تَس وراى بيہ کانسہِ۔ تمِ ڇهنہ کھوژان تس وراى بيہِ کانسہِ سۄى ڇهُو سارى نفعکُ تہ نقصانکُ مالِک بيہ نہ کانہہ۔ تمن يُتھ محبت ڇهُو خدايہِ سُند تُتھ ڇهُکھ نہ بيہِ کانسہِ ہُند خدايہ سندى رضا خيطرہ ڇهِ تمِ خدايہِ سندين رتين بندن۔ انبياءن تہ اولياءن ہُند محبت ٿاوان۔ وَلَوْ يَرَى الَّذِيْنَ ظَلَمُوْٓا ہر گاہ زانہ ہن يم ظالِم يمو خدايس شريک ٺهراوسو کتھ يۄسہ زانن يگہِ تمن تمہِ ساتہ اِذْ يَرَوْنَ الْعَذَابَ يمہِ ساتہ تمِ عذاب وُڇهن سۄ گۄيہ يِہے کتھ اَنَّ الْقُوَّةَ لِلّٰهِ جَمِيْعًا کہ پزِ پاٹهِ سورُى قوّت ڇهُو خدايہ سى يوت وَّاَنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعَذَابِ بيہ ڇهُو اللہ تعالىٰ کڈر عذاب کرہ ڈن۔ تلہ ٺهراوہن نہ خدايس شريک اِذْ تَبَرَّاَ الَّذِيْنَ اتُّبِعُوْا مِنَ الَّذِيْنَ اتَّبَعُوْا يلہِ لوب ہين تہ بے تعلّقى ظاہر کرن آخرتس اندر تمِ لُوکھ يمنز متابعت تہ پيروى کرنہ يوان آس، تمن لوکن نشہ يم پيروى کران آسِکھ وَرَاَوُا الْعَذَابَ بيہ وُڇهن دۄشوے عذاب نيوا ڇهُو وَ تَقَطَّعَتْ بِهِمُ الْاَسْبَابُ ژهين تمن برونٹهم سارى تعلقات وَقَالَ الَّذِيْنَ اتَّبَعُوْا لَوْ اَنَّ لَنَا كَرَّةً

وَتَقَطَّعَتْ بِهِمُ الْاَسْبَابُ ﴿۱۶۶﴾ وَقَالَ الَّذِیْنَ اتَّبَعُوْا لَوْ اَنَّ لَنَا كَرَّةً
فَنَتَبَرَّاَ مِنْهُمْ كَمَا تَبَرَّءُوْا مِنَّا ؕ كَذٰلِكَ یُرِیْهِمُ اللّٰهُ اَعْمَالَهُمْ
حَسَرٰتٍ عَلَیْهِمْ ؕ وَمَا هُمْ بِخٰرِجِیْنَ مِنَ النَّارِ ﴿۱۶۷﴾ ع یٰۤاَیُّهَا النَّاسُ كُلُوْا
مِمَّا فِی الْاَرْضِ حَلٰلًا طَیِّبًا ۖ٘ وَّلَا تَتَّبِعُوْا خُطُوٰتِ الشَّیْطٰنِ ؕ
اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِیْنٌ ﴿۱۶۸﴾ اِنَّمَا یَاْمُرُكُمْ بِالسُّوْٓءِ وَالْفَحْشَآءِ وَاَنْ

---

بیہ ونن تمہِ وقتہ تم لُوکھ یم پیروی کران آس ہر گاہ اسہ دوبارہ بیہ اکہ لٹہِ دنیاہس گُن گژھنک موقعہ بنہِ
ہا فَنَتَبَرَّاَ مِنْهُمْ كَمَا تَبَرَّءُوْا مِنَّا اَس تہِ روزہ ہو تمن نِشہِ الگ یتھ پاٹھ تم اسہ نِشہِ لوب تہ الگ رُودِ
كَذٰلِكَ یُرِیْهِمُ اللّٰهُ اَعْمَالَهُمْ حَسَرٰتٍ عَلَیْهِمْ یتھے پاٹھ کیاہاوِہ اللہ تعالیٰ تمن پننہِ عملہ یمہِ تمو خدائس
ورائی بین ہندہ خیطرٕ ہ کرہ مژہ آسن ندامت تہ پیشمانی وَمَا هُمْ بِخٰرِجِیْنَ مِنَ النَّارِ بیہِ آسن نہ تمِ نارِ جہنّمہ
منزہ نیرہ ونِ بلکہ چھُو تمن تتھہ منز ہمیشہ روزُن۔ مشرکینِ عرب آسِ پوٗتلین ہندن ناون پیٹھہ بعضے
جانورن نامز دکرِتھہ تھاوان۔ تمہِ پتہ آسِ تم تمن جانورن سیٹھاہ تعظیم و تکریم کران۔ تمن جانورن
نِشہِ آسِ نہ کانہہ نفع تہ فائدہ تلُان۔ خیال آس کران یہ چھُو حُکم خدا۔ امہِ سیت سپدِہ اسہِ نِشہِ
خدا راضی۔ امہ سیت کرہ سوٗ اسہِ پنن قُرب عطا۔ اللہ تعالیٰ چھُو تتھہ تہندِس خیالس رد کران۔ فرماوان
چھُو یٰۤاَیُّهَا النَّاسُ اے لوکو كُلُوْا مِمَّا فِی الْاَرْضِ حَلٰلًا طَیِّبًا کھیٖو تمِ چیز یم زمینس اندر شرعہ موجب
حلال تہ پاک چھہِ۔ پانے مہ کرٕ وپانس پیٹھہ کانہہ چیز حرام۔ حلال گوتہِ یہ خداین حلال کور حرام گوتہِ یہ
خداین حرام کور وَّلَا تَتَّبِعُوْا خُطُوٰتِ الشَّیْطٰنِ پتہ مہ پکِو شیطان سندین پدین یعنی تہنز متابعت مہ
کرٕو۔ یوٗگُن سو پکنا وِہ توٗکن مہ پکو۔ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِیْنٌ کیازِہ پرٛزپاٹھِہ سوٗ چھُو تُہند نون دشمن
اِنَّمَا یَاْمُرُكُمْ بِالسُّوْٓءِ وَالْفَحْشَآءِ وَاَنْ تَقُوْلُوْا عَلَى اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ سوٗ چھُو نہ توہہِ امر کران مگر گونہن
ہُند۔ بیہِ تیچھہ کامین ہُند۔ بیہ امکُوی کہ تُہہ نوراوِو خدائس پیٹھہ تِمے کتھ یمہ نہ توہہِ معلوٗم چھہَ۔ حرام
کرٕو حلال چیز۔ حلال زانِو حرام چیز وَاِذَا قِیْلَ لَهُمُ یلہِ وننہ یوان چھُو تمن مشرکن یم شیطان سنز پیروی

تَقُوْلُوْا عَلَى اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿۱۶۹﴾ وَ اِذَا قِيْلَ لَهُمُ اتَّبِعُوْا مَاۤ
اَنْزَلَ اللّٰهُ قَالُوْا بَلْ نَتَّبِعُ مَاۤ اَلْفَيْنَا عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا ؕ اَوَ لَوْ كَانَ
اٰبَآؤُهُمْ لَا يَعْقِلُوْنَ شَيْـًٔا وَّ لَا يَهْتَدُوْنَ ﴿۱۷۰﴾ وَ مَثَلُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا
كَمَثَلِ الَّذِيْ يَنْعِقُ بِمَا لَا يَسْمَعُ اِلَّا دُعَآءً وَّ نِدَآءً ؕ صُمٌّۢ بُكْمٌ
عُمْيٌ فَهُمْ لَا يَعْقِلُوْنَ ﴿۱۷۱﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا كُلُوْا مِنْ طَيِّبٰتِ
مَا رَزَقْنٰكُمْ وَ اشْكُرُوْا لِلّٰهِ اِنْ كُنْتُمْ اِيَّاهُ تَعْبُدُوْنَ ﴿۱۷۲﴾

---

کران چھِ اِتَّبِعُوْا مَاۤ اَنْزَلَ اللّٰهُ اے لوکو تمہ حکمہ موجب پکوٗس نازل کور اللہ تعالیٰ اَن پیغمبر برحقس پیٹھ یعنے قرآن۔ مجید قَالُوْا جواب چھِ تم دِوان بَلْ نَتَّبِعُ مَاۤ اَلْفَيْنَا عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا بلکہ پکوٗ اَسِ تتھ طریقس پیٹھ یتھ طریقس پیٹھ لب اسہِ پنِن مالِ تہ بڈبب اَوَ لَوْ كَانَ اٰبَآؤُهُمْ لَا يَعْقِلُوْنَ شَيْـًٔا وَّ لَا يَهْتَدُوْنَ کیاہ تمِ لوکھ کرنہ پنہ نین مالین ہنز پیروی ہر حالتس اندر۔ تلہ تہِ یلہِ نہ تم کنہ تہِ زانان آسن بیہ نہ کُنہ صحیح وتہ پیٹھ آسن۔ یہ گٔیہ تلہِ کمالِ بے وقوفی وَ مَثَلُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا كَمَثَلِ الَّذِيْ يَنْعِقُ بِمَا لَا يَسْمَعُ یمن کافرِن ہنز مثال چھہ َ تس جانور سنز مثال یُس نہ مضمونِ کلام بوزان چھوٗ اِلَّا دُعَآءً وَّ نِدَآءً مگر ناداہ تہ آلوا صُمٌّۢ بُكْمٌ عُمْيٌ فَهُمْ لَا يَعْقِلُوْنَ تِم کافرِ چھِ زرِ کل اَنِ۔ پَس چھنہِ تم زانان کہنہ تہ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بایمانو تِمو پژھ کٔر وہ کُنس خدائس بیہِ تہندِس پیغمبرس كُلُوْا مِنْ طَيِّبٰتِ مَا رَزَقْنٰكُمْ کھیوٗ تمِ پاک چیز تِم اسہ توہہِ عطا کٔر مت چھہِ۔ تلو تمن چیزن ہُند تمتع یتھ دنیاچہِ زندگی منز۔ پانے مہ آسو میہ ورائےِ کانسہِ ہندِہ خیطرہ پانس پیٹھ کانہہ نعمت حرام کران تہ ترا وان وَ اشْكُرُوْا لِلّٰهِ شکر دیوٗ تس خدائس تِم بے شمار نعمژ عطا کروہ اِنْ كُنْتُمْ اِيَّاهُ تَعْبُدُوْنَ چھوٗے تس یوت معبود زانِت عبادت کران اِنَّمَا حَرَّمَ عَلَيْكُمُ الْمَيْتَةَ تمِ کورنہ توہہِ پیٹھ کہنہ تہِ حرام مگر کرُن سوٗ جانور یُس پانے موُمت آسہِ وَ الدَّمَ بیہ کرُن حرام خون وَ لَحْمَ الْخِنْزِيْرِ بیہ کرن حرام سورہ ماز

إِنَّمَا حَرَّمَ عَلَيْكُمُ الْمَيْتَةَ وَالدَّمَ وَلَحْمَ الْخِنْزِيرِ وَمَآ اُهِلَّ بِهٖ لِغَيْرِ اللّٰهِ ۚ فَمَنِ اضْطُرَّ غَيْرَ بَاغٍ وَّلَا عَادٍ فَلَآ اِثْمَ عَلَيْهِ ۭ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿١٧٣﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ يَكْتُمُوْنَ مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ مِنَ الْكِتٰبِ وَيَشْتَرُوْنَ بِهٖ ثَمَنًا قَلِيْلًا ۙ اُولٰۗىِٕكَ مَا يَاْكُلُوْنَ فِيْ بُطُوْنِهِمْ اِلَّا النَّارَ وَلَا يُكَلِّمُهُمُ اللّٰهُ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ وَلَا يُزَكِّيْهِمْ ښ وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿١٧٤﴾ اُولٰۗىِٕكَ الَّذِيْنَ اشْتَرَوُا الضَّلٰلَةَ بِالْهُدٰى وَالْعَذَابَ

---

وَمَآ اُهِلَّ بِهٖ لِغَيْرِ اللّٰهِ بيهِ ڪو رُن حرام يه ڪنيڙ ها خدا ايس وراي بيهِ ڪانسهِ هُند قرب ته رضا حاصل ڪرنه خيطره ڪانسهِ هندهِ ناوه ٿاونه آمُت آسهِ فَمَنِ اضْطُرَّ غَيْرَ بَاغٍ وَّلَا عَادٍ فَلَآ اِثْمَ عَلَيْهِ پَس يُس شخصاه لاچار ته مُضطر سپدِه ڪانه چيزاه بنيس نه ٿمو چيز وراي. سوي ٿمو چيز واندره نافرماني ڪرنه ورايِ، لذت ٿهانڊنه وراي ته حده نشهِ ڏالنه وراي يکهنه کهيه لَس ڇهوُنه ڪانه گوناه. اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ پڙ ياڻه الله تعالىٰ ڇُهو سيٺاه مغفرت ڪروُن، سيٺاه رحم ڪروُن اِنَّ الَّذِيْنَ يَكْتُمُوْنَ مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ مِنَ الْكِتٰبِ بيشڪ ٿمِ لُوکه کهٽان ڇهِ تمِ مضمُون تمه ڪتابهِ هندِ يوسه نازِل ڪَر الله تعالىٰ ان وَيَشْتَرُوْنَ بِهٖ ثَمَنًا قَلِيْلًا بيه ڇهِ حاصلِ ڪران تته بدل قيمتهاه سيٺاه ڪم اُولٰۗىِٕكَ تمِ لُوکه تمِ کهٽان ڇهِ پڙه ڪتهه تته بَدل ڇه هاره ته ديار حاصلِ ڪَرِت کهيوان ته چيوان مَا يَاْكُلُوْنَ فِيْ بُطُوْنِهِمْ اِلَّا النَّارَ ڇهنه تمِ کهيے کهيے يُڊن منز واتناوان مگر ناره تيو نگل. وَلَا يُكَلِّمُهُمُ اللّٰهُ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ الله تعالىٰ ڪره نه يمن سيت قيامتهِ دوهه ڪتهه تهِ. وَلَا يُزَكِّيْهِمْ بيه ڪريکهه نه پاڪ گناه معاف ڪرنه سيت وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ بيهِ ڇُهو تهندي خيطره دَگ ته دود تلهوُن عذاب اُولٰۗىِٕكَ الَّذِيْنَ اشْتَرَوُا الضَّلٰلَةَ بِالْهُدٰى يم لوکه گئے تمِ ٿمو گمراهي مِئل هرُث هدايتس وَالْعَذَابَ بِالْمَغْفِرَةِ بيه هيوتهه عذاب مل مغفرتس فَمَآ اَصْبَرَهُمْ عَلَى النَّارِ ڪا تياه ڙيڊ ڪره وِن ڇهِ تمِ نارس پيٺه يعنے بے پروائي سان ڇهِ ڪامهِ ڪران ٿمو سيت نارس گرفتار سپدن ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ نَزَّلَ الْكِتٰبَ بِالْحَقِّ يه سوُري ڇهو تمن ٿمهِ وجه ڪه الله تعالىٰ ان ڪَر نازِل پننِ ڪتاب پُز

بِالْمَغْفِرَةِ ۚ فَمَآ اَصْبَرَهُمْ عَلَى النَّارِ ﴿١٧٥﴾ ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ نَزَّلَ
الْكِتٰبَ بِالْحَقِّ ۗ وَاِنَّ الَّذِيْنَ اخْتَلَفُوْا فِى الْكِتٰبِ لَفِىْ شِقَاقٍۢ
بَعِيْدٍ ﴿١٧٦﴾ لَيْسَ الْبِرَّ اَنْ تُوَلُّوْا وُجُوْهَكُمْ قِبَلَ الْمَشْرِقِ وَ
الْمَغْرِبِ وَلٰكِنَّ الْبِرَّ مَنْ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ وَالْمَلٰٓئِكَةِ
وَالْكِتٰبِ وَالنَّبِيّٖنَ ۚ وَاٰتَى الْمَالَ عَلٰى حُبِّهٖ ذَوِى الْقُرْبٰى
وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنَ وَابْنَ السَّبِيْلِ ۙ وَالسَّآئِلِيْنَ وَفِى

---

هيت. تِهو ڪو رتهه منڍ اختلاف. اُڏس ڪرڪهه پڙهه. اُڏِس ڪو رُکهه اِنڪار. اوڏ تهو ڪهه ڪهٽهه اوڏ ٽنڊ وڏ کهه.
وَاِنَّ الَّذِيْنَ اخْتَلَفُوْا فِى الْكِتٰبِ لَفِىْ شِقَاقٍۢ بَعِيْدٍ پڙپاٺهه تِهوا اختلاف ڪوراتهه ڪتابهِ اندر يعني توراتس
اندر اُڏس پڙهه ته اُڏِس اِنڪار ڪرنه سيت تمِ ڇهه زِٿهس اختلافس اندر هميت يُٿهنه زانهه واٿهه لگيکهه.
يله برو نٿهين آياتن اندر پنه نهِ ٿيڇهه ڪامهِ ته تِمنُ هُند سڙابوز کهه يهود ته نصاريٰ لگِ وننهِ اسهِ ڪيازه آسهِ
هايه سڙ ااسے ڇهِ نمازه اندر پنه نسِ پنه نسِ قبلس کُن بُتهه ڪرتهه نماز پران. الله تعاليٰ ان ڪو رُکهه تهه
خيالس ردّ لَيْسَ الْبِرَّ اَنْ تُوَلُّوْا وُجُوْهَكُمْ قِبَلَ الْمَشْرِقِ وَالْمَغْرِبِ نيڪي ڇهنه ايڙي ياڙڪهِ تهه
پهرِ و نمازِه اندر بُتهه مشرقس کُن اے نصاراو يا مغربس کُن اے يهُودو وَلٰكِنَّ الْبِرَّ ليڪن نيڪوڪار گے
گوڏه تهِ مَنْ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ تِهوا ايمان اون. پڙهه ڪرڪهه اُڪس خدايس بيهِ تهندِس کُن آسنس
بيه قيامتس دوهس وَالْمَلٰٓئِكَةِ بيه ملائڪن هندِس وجودس وَالْكِتٰبِ بيهِ سارني آسماني ڪتابن وَالنَّبِيّٖنَ
بيه سارني پيغمبرن وَاٰتَى الْمَالَ عَلٰى حُبِّهٖ تو پته دِن مال پننِ خدايه سندي محبّتهِ سُو مال ٽوٺهه آسهه
ذَوِى الْقُرْبٰى پنه نين محتاج آشناون وَالْيَتٰمٰى بيهِ نادار يتيمن يمن مول مودمت آسهِ
وَالْمَسٰكِيْنَ بيه عام مسڪين ته محتاجن وَابْنَ السَّبِيْلِ بيه بے خرچ مسافرن وَالسَّآئِلِيْنَ بيه منگه
ونين. وَفِى الرِّقَابِ بيه گردنه آزاد ڪرنس اندر. مقروض ته غلامن هنزه گردنه آزاد ڪرنس اندر
وَاَقَامَ الصَّلٰوةَ بيه ٿهاون برپا نماز وَاٰتَى الزَّكٰوةَ بيه آسن اداڪران مالچ زڪوٰة وَالْمُوْفُوْنَ بِعَهْدِهِمْ اِذَا

الرِّقَابِ ۚ وَاَقَامَ الصَّلٰوۃَ وَاٰتَی الزَّکٰوۃَ ۚ وَالْمُوْفُوْنَ بِعَهْدِهِمْ اِذَا عٰهَدُوْا ۚ وَالصّٰبِرِيْنَ فِی الْبَاْسَآءِ وَالضَّرَّآءِ وَحِيْنَ الْبَاْسِ ؕ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ صَدَقُوْا ؕ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُتَّقُوْنَ ﴿۱۷۷﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا كُتِبَ عَلَيْكُمُ الْقِصَاصُ فِی الْقَتْلٰی ؕ اَلْحُرُّ بِالْحُرِّ وَالْعَبْدُ بِالْعَبْدِ وَالْاُنْثٰی بِالْاُنْثٰی ؕ فَمَنْ عُفِیَ لَهٗ مِنْ اَخِيْهِ شَیْءٌ فَاتِّبَاعٌ ۢ بِالْمَعْرُوْفِ وَاَدَآءٌ اِلَيْهِ بِاِحْسَانٍ ؕ ذٰلِكَ تَخْفِيْفٌ مِّنْ

---

عٰهَدُوْا ییہ آسن پنہ نس عہدس وفا کرہ ونِ یلہِ پانہ وانِ معاہدہ کرانِ آسن وَالصّٰبِرِيْنَ ییہ آسن صبر کرہ ونِ فِی الْبَاْسَآءِ وَالضَّرَّآءِ وَحِيْنَ الْبَاْسِ ییہ سختی اندر، تکلیفن اندر بیہ لڑایہ اندر کافرن سیت جنگکہ وقتہ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ صَدَقُوْا یمے لوکھ کیاہ گے پزیار۔ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُتَّقُوْنَ تیمے لوکھ کیاہ گے پرہیزگار خدالیس کھوژہ ونِ۔ مختصر فرماو کمالاتِ انسانی۔ اگرچہ تمِ چھہ واریاہ چیز مگر اجمالاً چھہِ تمِ منحصر ترین چیزن اندر صحت اعتقاد، حسنِ معاشرت۔ تہذیب نفس۔ صحت اعتقاد گوپژہ کرنِ معبود برحقس بیہ پژہ کرنِ تمن چیزن تمن پژھہ کرنِ لازِم چھہ۔ حسنِ معاشرت گو پرت حقدارس پنُن حق واتناون۔ تہذیب نفس گو نماز پرنِ، زکوٰۃ دنِ عہدس وفا کرن تہ صبر کرن۔ یم ساری چیز چھہِ جمع ییتھ آیہ کرِ یمس اندر۔ ییہ آیہ کریمہ چھہ انسانی کمالاتن جمع کرہ ونِ تیمے گے اُصول بر۔ یعنی نیکین ہندِ اُصول۔ امہِ پتہ چھہ اللہ تعالیٰ فرماوان فروع بر یعنی نیکن ہند شاخ تہ اقسام۔ گوڈنیک قسم گو قانونِ قصاص يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا اے بایمانو كُتِبَ عَلَيْكُمُ الْقِصَاصُ فِی الْقَتْلٰی مقرر آو کرنہ توہیہ پیٹھہ قانونِ قصاص یعنے مساوات مقتولن ہندِہ حقہ اَلْحُرُّ بِالْحُرِّ آزاد شخص ییہ قتل کرنہ آزاد شخص بَدل وَالْعَبْدُ بِالْعَبْدِ غلام ییہ قتل کرنہ غلامس بَدل وَالْاُنْثٰی بِالْاُنْثٰی زنانہ ییہ قتل کرنہ زنانہِ بَدل یعنی شریف تہ کمینہ آنچ یادولت مند تہ فقیر آنچ چھہنہ کانہہ فرق فَمَنْ عُفِیَ لَهٗ مِنْ اَخِيْهِ شَیْءٌ لیس قاتلس عفو آو کرنہ پنہ نس بائےِ سندِہ طرفہ کانہہ چیز اہ یعنے مقتولہ سند یو وار ثو اندرہ ہر گاہ کانہہ اکھاہ عفو تہ

رَّبِّكُمْ وَرَحْمَةٌ ؕ فَمَنِ اعْتَدٰى بَعْدَ ذٰلِكَ فَلَهٗ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿۱۷۸﴾ وَ
لَكُمْ فِى الْقِصَاصِ حَيٰوةٌ يّٰۤاُولِى الْاَلْبَابِ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ ﴿۱۷۹﴾
كُتِبَ عَلَيْكُمْ اِذَا حَضَرَ اَحَدَكُمُ الْمَوْتُ اِنْ تَرَكَ خَيْرًا ۖۚ ۨالْوَصِيَّةُ
لِلْوَالِدَيْنِ وَالْاَقْرَبِيْنَ بِالْمَعْرُوْفِ ۚ حَقًّا عَلَى الْمُتَّقِيْنَ ﴿۱۸۰﴾ ؕ فَمَنْۢ
بَدَّلَهٗ بَعْدَ مَا سَمِعَهٗ فَاِنَّمَاۤ اِثْمُهٗ عَلَى الَّذِيْنَ يُبَدِّلُوْنَهٗ ؕ
اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ﴿۱۸۱﴾ ؕ فَمَنْ خَافَ مِنْ مُّوْصٍ جَنَفًا اَوْ اِثْمًا

---

درگذر کرہِ فَاتِّبَاعٌۢ بِالْمَعْرُوْفِ پس شوبہ باقی وارثن دیتک مطالبہ کرن سختی ورای وَاَدَآءٌ اِلَيْهِ بِاِحْسَانٍ بیہ شوبہ قاتلس سودیت اداکرن مقتولہ سندین وارثن گُن تارتہ درنگی کرنہ ورای ذٰلِكَ تَخْفِيْفٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ وَرَحْمَةٌ یہ قانون دیت و عفوچھوئبڈ آسانی بڈرحمت تہندِس پروردگارہ سندِہ طرفہ فَمَنِ اعْتَدٰى بَعْدَ ذٰلِكَ فَلَهٗ عَذَابٌ اَلِيْمٌ پس یُس اکھاہ حدہ ڈلہ امہِ عفو کرنہ پتہ یعنے دیتس پیٹھہ تصفیہ سپدنکہِ باوُجود کرہِ مقتولہ سندیو وارثو اندرہ کانہہ قاتلن نِشہِ انتقام تہ قصاص ہیچ کوشش۔ تسندِہ خیطرہ چھُو آخرتس اندر دود دوہ ڈن عذاب۔ وَلَكُمْ فِى الْقِصَاصِ حَيٰوةٌ يّٰۤاُولِى الْاَلْبَابِ تہندہ خیطرہ چھہ یتھہ قصاصہ کِس حُکمس اندر بڈ زندگی اے عقلہِ والیو کیازہ یلہِ کانسہِ اکِ سندِہ قتل کرنکُ ارادہ کرن وول یہ زانہ کہ میہ پیہ امیکُ قصاص ہینہ سوُروزہ پانے قتلہ نشہِ پتھ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ یتھہ تُہہ قتلہ نِشہِ پتہ روزِو قصاصہ کہ بیمہ كُتِبَ عَلَيْكُمْ اِذَا حَضَرَ اَحَدَكُمُ الْمَوْتُ فرض آو کرنہ توہہ پیٹھہ ای باایمانو یلہ حاضرِ آسہِ سپدان توہہِ اندر کانسہِ موت یعنی مرنکُ وقت آسہِ واتان موتکِ علامات آسن ظاہرسپدان اِنْ تَرَكَ خَيْرًا ہرگاہ ہے سوُتراوِہ پتھ گُن کانہہ مالاہ اِۨلْوَصِيَّةُ لِلْوَالِدَيْنِ وصیّت کرن اتھ مالَس اندر مالِس ماجہِ ہندہِ خیطرہ وَالْاَقْرَبِيْنَ بیہ آشناون ہندہ خیطرہ بِالْمَعْرُوْفِ انصافہ موجُب تہ حسبِ دستور حَقًّا عَلَى الْمُتَّقِيْنَ یہ چھُو لازِم پرہیزگارن ہندِہ خیطرہ فَمَنْۢ بَدَّلَهٗ بَعْدَ مَا سَمِعَهٗ پس یم اک تبدیل کور اتھ وصیّتس بوزنہ تہ معلوم سپدنہ پتہ فَاِنَّمَاۤ اِثْمُهٗ عَلَى الَّذِيْنَ يُبَدِّلُوْنَهٗ پس چھُو نہ امیک گناہ مگر

فَاَصْلَحَ بَيْنَهُمْ فَلَآ اِثْمَ عَلَيْهِ ۭ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿١٨٢﴾ يٰٓاَيُّهَا
الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا كُتِبَ عَلَيْكُمُ الصِّيَامُ كَمَا كُتِبَ عَلَى الَّذِيْنَ
مِنْ قَبْلِكُمْ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ ﴿١٨٣﴾ اَيَّامًا مَّعْدُوْدٰتٍ ۭ فَمَنْ كَانَ
مِنْكُمْ مَّرِيْضًا اَوْ عَلٰي سَفَرٍ فَعِدَّةٌ مِّنْ اَيَّامٍ اُخَرَ ۭ وَعَلَي
الَّذِيْنَ يُطِيْقُوْنَهٗ فِدْيَةٌ طَعَامُ مِسْكِيْنٍ ۭ فَمَنْ تَطَوَّعَ خَيْرًا
فَهُوَ خَيْرٌ لَّهٗ ۭ وَاَنْ تَصُوْمُوْا خَيْرٌ لَّكُمْ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿١٨٤﴾

---

تھِنيءَ پيٺ تہ اھو تبديل ڪرن **اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ** الله تعالى ڇو سُڻندڙ ڄاڻندڙ آهي. هي
حڪم اول ابتدائي اسلام ۾ اندر پتو پيو هو، حڪم منسوخ آهي ميراث سيت **فَمَنْ خَافَ مِنْ مُّوْصٍ جَنَفًا اَوْ
اِثْمًا** پس جيڪو ڪو ڊڄي وصيت ڪرڻ واري کان ڪنهن طرف ڪنهن قسم جي بي انصافي يا حق تلفي **فَاَصْلَحَ بَيْنَهُمْ** پس ڪري
وارثن منجهان ۽ وصيتي جي ڪنهن اصلاح **فَلَآ اِثْمَ عَلَيْهِ** تہ پوءِ ڪونهي گناھ **اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ** بيشڪ
الله تعالى ڇو مغفرت ڪرڻ وارو رحم ڪرڻ وارو **يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا** اي باايمانو **كُتِبَ عَلَيْكُمُ الصِّيَامُ**
فرض آيو ڪيو ويو توهان تي روزه داري **كَمَا كُتِبَ عَلَى الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ** جيئن پاڻ فرض ڪيو ويو هو
ڪرڻ تمن لوڪن تي جيڪي توهان کان اڳ هئا **لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ** جيئن توهان متقي ۽ پرهيزگار بڻجو. **اَيَّامًا
مَّعْدُوْدٰتٍ** ڪيترن ڏينهن تہ ڏهه ڳڻڻ آهن ڇهه **فَمَنْ كَانَ مِنْكُمْ مَّرِيْضًا اَوْ عَلٰي سَفَرٍ فَعِدَّةٌ مِّنْ
اَيَّامٍ اُخَرَ** تمهِ پوءِ توهان اندر ڪو بيمار هجي يا سفر ۾ هجي تہ ٻين ڏينهن اندر تمهان ڇو اجازت تمن
ڏينهن افطار ڪري تہ ٻين ڏينهن پورا ڪرڻ گهرجن يا سفر ۾ نشہ واپس ٿيڻ. ٻيا ڪي آساني ڇهه **وَعَلَي الَّذِيْنَ
يُطِيْقُوْنَهٗ فِدْيَةٌ طَعَامُ مِسْكِيْنٍ** ٻيو گهرجي تمن لوڪن تي جن ۾ طاقت آهي روزه دار روز ڪڍڻ مگر روزن
نہ. فديه ڏيون اڳ مسڪين جي هڪ ڏينهن بدل ڏيون وقتن برابر کاڌو ڏيڻ هي حڪم ڇهه آهي منسوخ ڪرڻ
فمن شهد منكم الشهر فليصمه سيت مريض ۽ مسافرن ڇهه استثناء **فَمَنْ تَطَوَّعَ خَيْرًا فَهُوَ خَيْرٌ لَّهٗ** پس
جيڪو نيڪي ڪري يعني مسڪين کي زياده پڻ ڏئي تہ ڇو تنهنجي خاطر بهتر **وَاَنْ تَصُوْمُوْا خَيْرٌ لَّكُمْ اِنْ كُنْتُمْ
تَعْلَمُوْنَ** تو پوءِ توهان روزي داري جي ثواب ۽ فضيلت معلوم آهي هاڻي اوس تنهنجي خاطر روزه دار

شَهۡرُ رَمَضَانَ الَّذِیۡۤ اُنۡزِلَ فِیۡهِ الۡقُرۡاٰنُ هُدًی لِّلنَّاسِ وَ بَیِّنٰتٍ مِّنَ الۡهُدٰی وَالۡفُرۡقَانِ ۚ فَمَنۡ شَهِدَ مِنۡکُمُ الشَّهۡرَ فَلۡیَصُمۡهُ ؕ وَمَنۡ کَانَ مَرِیۡضًا اَوۡ عَلٰی سَفَرٍ فَعِدَّةٌ مِّنۡ اَیَّامٍ اُخَرَ ؕ یُرِیۡدُ اللّٰهُ بِکُمُ الۡیُسۡرَ وَلَا یُرِیۡدُ بِکُمُ الۡعُسۡرَ ۫ وَلِتُکۡمِلُوا الۡعِدَّةَ وَلِتُکَبِّرُوا اللّٰهَ عَلٰی مَا هَدٰىکُمۡ وَلَعَلَّکُمۡ تَشۡکُرُوۡنَ ﴿۱۸۵﴾ وَاِذَا سَاَلَکَ عِبَادِیۡ عَنِّیۡ فَاِنِّیۡ قَرِیۡبٌ ؕ اُجِیۡبُ دَعۡوَةَ الدَّاعِ اِذَا

---

روزنوی بہتر **شَهۡرُ رَمَضَانَ الَّذِیۡۤ اُنۡزِلَ فِیۡهِ الۡقُرۡاٰنُ** ماہِ رمضان گوسۆر یتھ یتھ ریتس منز پورہ قرآن مجید نازِل آوٚ کرنہ لوح محفوظہ پیٹھ بیت المعمورس کُن **هُدًی لِّلنَّاسِ وَ بَیِّنٰتٍ مِّنَ الۡهُدٰی وَالۡفُرۡقَانِ** یس قرآن مجید بوڈ ہدایت چھِ لوکن ہندِ خیطرٕ یتھ منز ہدایچ نِہ دلیلہ چھہٕ یمہٕ دلیلہ پزِس تہٕ اپزِس منز فرق کرہ ونہِ چھہ **فَمَنۡ شَهِدَ مِنۡکُمُ الشَّهۡرَ فَلۡیَصُمۡهُ** پس یُس اکھاہ توہہِ اندرہ اتھ ریتس لبہِ سۆروزن اتھ ریتس روزہ دار **وَمَنۡ کَانَ مَرِیۡضًا اَوۡ عَلٰی سَفَرٍ** بیہِ یس توہہِ اندرہ تمہ قسمہ بیمار آسہِ یُتھ روزہ درتھہ مضر سپدِ یس یامسافرِ آسہِ اتھ ریتس اندر **فَعِدَّةٌ مِّنۡ اَیَّامٍ اُخَرَ** تلہِ چھہِ تِمَس تمِ بیماری ہنددوہ یا مسافر تک دوہ بیین دوہن اندر درنِ لازم **یُرِیۡدُ اللّٰهُ بِکُمُ الۡیُسۡرَ وَلَا یُرِیۡدُ بِکُمُ الۡعُسۡرَ** اللہ تعالیٰ چھوٚ یژھان تُہندِ خیطرٕ آسانی۔ سوٚ چھونہ یژھن تہندِ خیطرٕ سختی۔ **وَلِتُکۡمِلُوا الۡعِدَّةَ** بیہِ چھوٚ یژھان اللہ تعالیٰ کہ پوٗرہ کٔرِو تُہہ روزہ داری ہنددوہ یُتھنہ ثوابس اندر کمی روزہ **وَلِتُکَبِّرُوا اللّٰهَ** بیہ یُتھ تُہہ اللہ تعالیٰ بزرگ تہٕ بوڈزانیون۔ بوڈ زانتھ آسِو تہند یاد کران۔ پر ان آسِو اللہ اکبر **عَلٰی مَا هَدٰىکُمۡ** یتھ کتھہِ پیٹھ کہ اللہ تعالیٰ ان کیاہ کوروہ توہہ ہدایت، تم کیاہاووہ توہہِ وتھہ رژہ کامہِ کرنس کُن **وَلَعَلَّکُمۡ تَشۡکُرُوۡنَ** یوٚتھ تُہہ پروردگار سنزن مہربانین پیٹھ شکر گذاری کٔرِو۔ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم نِشہِ آیہِ اکھ جماعتھاہ، تموی پرٛژھ یارسول اللہ خدا چھا اسہِ نِشہِ نزدیک تلہِ منگہ ہوس لوتہٕ لوتہٕ کِنہِ سوٚ چھوٚ دوٗر تلہِ منگہ ہوس بڈِہ بڈِہ۔ اَتی سپدٕ نازِل یہ آیہ کریمہ **وَاِذَا سَاَلَکَ عِبَادِیۡ عَنِّیۡ فَاِنِّیۡ**

دَعَانِ فَلْيَسْتَجِيبُوا لِي وَلْيُؤْمِنُوا بِي لَعَلَّهُمْ يَرْشُدُونَ ﴿١٨٦﴾

أُحِلَّ لَكُمْ لَيْلَةَ الصِّيَامِ الرَّفَثُ إِلَىٰ نِسَائِكُمْ ۚ هُنَّ لِبَاسٌ لَّكُمْ وَأَنتُمْ لِبَاسٌ لَّهُنَّ ۗ عَلِمَ اللَّهُ أَنَّكُمْ كُنتُمْ تَخْتَانُونَ أَنفُسَكُمْ فَتَابَ عَلَيْكُمْ وَعَفَا عَنكُمْ ۖ فَالْآنَ بَاشِرُوهُنَّ وَابْتَغُوا مَا كَتَبَ اللَّهُ لَكُمْ ۚ وَكُلُوا وَاشْرَبُوا حَتَّىٰ

---

قَرِيبٌ بيه يله توهه پرڙهن ميانِ بنده كه بوڇهو سه تمن نزديك كِنه ڏور فرماويو كه ميانهِ طرفه كه بوڇهو سكه نزديك أُجِيبُ دَعْوَةَ الدَّاعِ إِذَا دَعَانِ اجابت ته قبول ڇهوس كران پر يتهه منگه ون سندِ س منگه نس۔ پر يتهه درخواست كره ونِ سندِ س درخواست كرنس يله سو آسهِ مناسب ته قابلِ قبول يله سو عاجزي سان ے يوت منگه ته ے يوت زانه حاجت روا فَلْيَسْتَجِيبُوا لِي پس مانِ تمِ تهِ ميانِ حُكم۔ ميه نِشهِ كَرِن طلب اجابت وَلْيُؤْمِنُوا بِي بيه كَرن پڑه ميه ميانه نزديك آسكُ تهاوِن يقين لَعَلَّهُمْ يَرْشُدُونَ يتهه تمن تمه سيت ميه نِشهِ واتچ وتههِ بيهِ أُحِلَّ لَكُمْ لَيْلَةَ الصِّيَامِ الرَّفَثُ إِلَىٰ نِسَائِكُمْ حلال آيهِ كرنه تُهندهِ خيطره اے باايمانو روزن هنزن راتن اندر پنه نين منكوحه زنانن نشه نفسچ خواهش پوره كرنه خيطره نزديك سپُدن هُنَّ لِبَاسٌ لَّكُمْ وَأَنتُمْ لِبَاسٌ لَّهُنَّ تمهِ ڇهه تُهند لباس۔ تُهه ڇهوه تُهند لباس اكهه اك سندِ س بدنس سيت متصل ميلتهه لباسكِ پاڻهِ ياكهه اكِ سندِ س سَرِ س سرپوش ته ستر۔ يتهه پاڻه لباس ڇهو بدنس سنز كران بدنك عيب پوشيده تهوان عَلِمَ اللَّهُ أَنَّكُمْ كُنتُمْ تَخْتَانُونَ أَنفُسَكُمْ الله تعالیٰ اَس آس خبرے كه تُهه كَر وِ خيانت پنه نين پانن يعنے خدايه سندِ س حُكمس مخالفت كرنه سيت كريو كه گنهگار پننِ پان۔ توپته سپد و نادم ته پشيمان۔ پنن معذرت كَرِ و پيش۔ فَتَابَ عَلَيْكُمْ پس الله تعالیٰ ان كور توبه تُهند، معذرت تُهنز قُبول وَعَفَا عَنكُمْ تُهندين گونهن كورُن عفو فَالْآنَ بَاشِرُوهُنَّ پس وون كَرِ و نزديكي پنه نين زنانن سيت ماه رمضانه چن راڻن اندر بلا تردد وَابْتَغُوا مَا كَتَبَ اللَّهُ لَكُمْ ژهانڈِ و ته حاصلِ كَرِ و تهِ يه الله تعالیٰ ان ازله

يَتَبَيَّنَ لَكُمُ الْخَيْطُ الْأَبْيَضُ مِنَ الْخَيْطِ الْأَسْوَدِ مِنَ الْفَجْرِ ثُمَّ أَتِمُّوا الصِّيَامَ إِلَى اللَّيْلِ وَلَا تُبَاشِرُوهُنَّ وَأَنْتُمْ عَاكِفُونَ فِي الْمَسَاجِدِ تِلْكَ حُدُودُ اللَّهِ فَلَا تَقْرَبُوهَا كَذَٰلِكَ يُبَيِّنُ اللَّهُ آيَاتِهِ لِلنَّاسِ لَعَلَّهُمْ يَتَّقُونَ ﴿۱۸۷﴾

---

تُہندِ خیطرٕ لیوکھُت آسہِ یعنی اولاد۔ امہ اندرٕ دراوکہ زنانن نشہ نزدیکی کرنہ اندرٕ گژھہِ آسُن قصد بقائی نسلک محض۔ نفسُچ خواہش پورٕ کرنی یوت نہ امی چھہ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم امہِ وقتہ پننِ اُمّت تمِ دعا ہیچھہ ناوٕمژ یم اتھ مقصدس مناسب چھہِ بِسْمِ اللّٰهِ. اَللّٰهُمَّ جَنِّبْنَا الشَّيْطَانَ وَجَنِّبِ الشَّيْطَانَ مَا رَزَقْتَنَا۔ متفق علیہ اَللّٰهُمَّ لَا تَجْعَلْ لِلشَّيْطَانِ فِيمَا رَزَقْتَنَا نَصِيْباً (مصنف عبدالرزاق بحوالہ فتح الباری)۔ امیُک معنی گو پروردگارا اسہِ دوشونِ باژن تھاو شیطانس نِشہِ دور۔ بیہ یہ ژیہ اَسہِ عطا کرت اولادس تِشہِ تھاون شیطان دور۔ پروردگارا یہ ژیہ اسہِ عطا کور تہ یعنی اولاد۔ تتھ منز مہ تھاو شیطانہ سُند کانہہ حصہِ۔ **وَكُلُوا وَاشْرَبُوا** بیہِ کھیُو تہ چیُو ماہِ رمضانہ کین شبن اندر **حَتَّىٰ يَتَبَيَّنَ لَكُمُ الْخَيْطُ الْأَبْيَضُ مِنَ الْخَيْطِ الْأَسْوَدِ مِنَ الْفَجْرِ** توتانِ یوتان مشرقہ کہ طرفہ ظاہر آسہ سپدان توہہ صبح صادقُچ سفید دھاو کریہنہِ دھاوہِ نِشہِ یعنی شبہ چہِ تاریکی نِشہِ آسہِ صبح صادقُچ سفیدی ننان **ثُمَّ أَتِمُّوا الصِّيَامَ إِلَى اللَّيْلِ** توپتہ آسِو روزہ داری پورٕ کران شامس تانِ یُس ابتداہی شب چھو **وَلَا تُبَاشِرُوهُنَّ وَأَنْتُمْ عَاكِفُونَ فِي الْمَسَاجِدِ** بیہِ مہ آسِو پننہ نین زنانن نزدیک سپدان نفسُچ خواہش پورٕ کرنہ خیطرٕ باشہوت معانقہ کران۔ بتھِس ژپنہ ہیوان یا مونہ میٹھہ کران یلہ تہہ مسجدِہ اندر اعتکافس روزان آسِوادہ سوٗ اعتکاف ماہِ رمضانس اندر آسِتن یا بین ریتن اندر آسِتن **تِلْكَ حُدُودُ اللَّهِ** یم چھہِ نِشانہ خدایہ سندِ مقرر کرمت **فَلَا تَقْرَبُوهَا** پس مہ سپدِو یمن نشانن تہ حدن نزدیک۔ تمو حدو نشہ ڈلُنچ چھُنہ کتھے **كَذَٰلِكَ يُبَيِّنُ اللَّهُ آيَاتِهِ لِلنَّاسِ** یتھے پاٹھہِ چھو اللہ تعالیٰ نر اوتھہ بیان کران آیات پننِ لوکن ہندِ اصلاح خیطرٕ **لَعَلَّهُمْ يَتَّقُونَ** یُتھ تمِ خدایہ سنزٕ نافرمانیو نشہ بچن۔ تہ پتھہ

وَلَا تَاْكُلُوْٓا اَمْوَالَكُمْ بَيْنَكُمْ بِالْبَاطِلِ وَتُدْلُوْا بِهَآ اِلَى الْحُكَّامِ لِتَاْكُلُوْا فَرِيْقًا مِّنْ اَمْوَالِ النَّاسِ بِالْاِثْمِ وَاَنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿١٨٨﴾ يَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْاَهِلَّةِ ۭ قُلْ هِيَ مَوَاقِيْتُ لِلنَّاسِ وَالْحَجِّ ۭ وَلَيْسَ الْبِرُّ بِاَنْ تَاْتُوا الْبُيُوْتَ مِنْ ظُهُوْرِهَا وَلٰكِنَّ الْبِرَّ مَنِ اتَّقٰى ۚ

---

روزن۔ وَلَا تَاْكُلُوْٓا اَمْوَالَكُمْ بَيْنَكُمْ بِالْبَاطِلِ بيهِ مه کهئيو مال اکهه اکسند ناحق ته حرام طريقه ڙور، خيانت، غصب کرنه سيت زار گندنه سيت يا عقودِ فاسدهِ کرنه سيت يعني تم معامله کرنه سيت تمِ شرعس اندر ناجائز چهِ۔ تمِ گے پهلِيه اندرے ٹهيکه کرن هي چيز۔ پيده سپَده نه برونٹهے خريد و فروخت کرن هيو وَتُدْلُوْا بِهَآ اِلَى الْحُكَّامِ بيهِ مه آسوِ اپزِ مقدمه نوان حاکمن نشهِ لِتَاْكُلُوْا فَرِيْقًا مِّنْ اَمْوَالِ النَّاسِ بِالْاِثْمِ يُتھ حاکمن نشهِ مقدمه زينت لُوکن هُند مال کهيوان آسوِ بظُلم وَاَنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ زانتھ کَرِ تھ يعني توهه آسه خبري پننه اپزِ ه دعوىٰ اَچ۔ ته اپزِ ه مقدمچ يَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْاَهِلَّةِ پرڙهان چهِ توهه لُوکھ هلالن هُند تمِ کيازه چهِ نِکِ آسان تو پته بڈان بڈان زُون سپدان تو پته بيهِ پننه نِس حالس پيٹھ واتان۔ قُلْ هِيَ مَوَاقِيْتُ لِلنَّاسِ وَالْحَجِّ تُهه فرماوِيُو کھ توهِ کياه چھُو يمن تهن سيت۔ تُهه بوزِو سوکتھ يتھه سيت توهه تعلق چھُو۔ يم هلال چهِ نشانه لوکن هندين معاملاتن هندهِ خيطره۔ مثلاً مزورن هنزه مزورِه۔ زنانن هنده عدتک حساب مدتِ حملکُ حساب۔ مدّت رضاع و فصال يعني دود چينکُ ته ڙٹنک حساب۔ روزه داري۔ زکوٰة بيهِ حجک وقت معلوم سپدنه خيطره نون ته صاف حساب قمري حساب يُس هلالو سيت معلوم سپدان چھُو۔ کفارِ مکه آسِ احرام گنڈِت گرن اندر رُنهِ ضرور تکه وقته دروازو کن اڙُن گناه زانان لهذا آس گرن هنديو پشوکِن ديوار ڙٹھه يا ديوار کن گرن منز اڙان۔ اتھه کور الله تعالىٰ ان ردّ وَلَيْسَ الْبِرُّ بِاَنْ تَاْتُوا الْبُيُوْتَ مِنْ ظُهُوْرِهَا بيهِ چهنه نيکي تُهه کياه اِيو گرن منز گرن هنديو پشوکِن بلکه چهه يهِ زمانهِ جاهليتچ طريق وَلٰكِنَّ الْبِرَّ مَنِ اتَّقٰى بلکه نيکو کار گوسُوي يُس

وَأْتُوا الْبُيُوتَ مِنْ أَبْوَابِهَا ۚ وَاتَّقُوا اللَّهَ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُونَ ﴿١٨٩﴾ وَقَاتِلُوا فِي سَبِيلِ اللَّهِ الَّذِينَ يُقَاتِلُونَكُمْ وَلَا تَعْتَدُوا ۚ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ الْمُعْتَدِينَ ﴿١٩٠﴾ وَاقْتُلُوهُمْ حَيْثُ ثَقِفْتُمُوهُمْ وَأَخْرِجُوهُم مِّنْ حَيْثُ أَخْرَجُوكُمْ ۚ وَالْفِتْنَةُ أَشَدُّ مِنَ الْقَتْلِ ۚ وَلَا تُقَاتِلُوهُمْ عِندَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ حَتَّىٰ يُقَاتِلُوكُمْ

---

خدایس کھوژہ وَأْتُوا الْبُيُوتَ مِنْ أَبْوَابِهَا بلکہ اِیوِ گرن منز گرن ہندیو دروازوکنِ۔ پانے پننہِ خیالہ کانہہ کتھاہ گوناہ زانِ یہ چھُو خلافِ اِسلام۔ نیکی گیٖیہ سوی یمیُک حُکم خداین تہ پیغمبر خداین کورمُت آسہِ بدی گیٖیہ سوی یمہِ نِشہِ تمِو ممانعت کٔرمژ آسہ وَاتَّقُوا اللَّهَ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُونَ کھوژو خدایس تمی سیت سپدِو تُہہ رستگار تہ کامیاب دون عالمن منز وَقَاتِلُوا فِي سَبِيلِ اللَّهِ جنگ کرو جنٛگ تیاری کٔرو خدایہِ سنزِہ وَتہِ منز تُہند دین بلند کرنہ خیطرہ الَّذِينَ يُقَاتِلُونَكُمْ تِمن سیت یِم توہہِ سیت جنگ کران چھہِ، جنٛگ تیاری کران چھہِ وَلَا تَعْتَدُوا حدو مہ ڈلوِ کانسہِ پیٹھہ مہ کٔرِو زیادتی، لوکٹِ، زنانہ تہ بُڈہ مہ ماریُو کھ قصداً۔ سبز کُل مہ ژٹیُو کھ، زراعت مہ کٔرو تباہ تہ برباد عہد شکنی مہ کٔرو إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ الْمُعْتَدِينَ پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو نہ پسند کران حدہ ڈلہ وٕنین وَاقْتُلُوهُمْ حَيْثُ ثَقِفْتُمُوهُمْ ہرگاہ توہہِ تِمن سیت کانہہ عہد و پیمان آسہِ نہ تلہِ یتنِس تُہہ تِم لبیُوکھ تتِس ماریُوکھ وَأَخْرِجُوهُم مِّنْ حَيْثُ أَخْرَجُوكُمْ نیٚبر کڈیُوکھ تِم تمہِ شہرہ اندرہ یمہِ شہرہ منزہ تِمو تُہہ نیٚبر کڈ ہوٚو پروامہ بروٚیکھنہ کیازہ تِم چھہِ فتنہ و فساد کرانِ۔ کُنِس خدایس شریک ٹھہراوان وَالْفِتْنَةُ أَشَدُّ مِنَ الْقَتْلِ فِتنہ فساد تہ شرک چھُو قتلہ خوٚتہ زیادہ مُشکل وَلَا تُقَاتِلُوهُمْ عِندَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ حَتَّىٰ يُقَاتِلُوكُمْ فِيهِ تُہہ مہ کروٗ جنگ تِمن سیت مسجد حرامس نزدیک یوٚتانِ نہ تِمے تورہ جنگ

فِيهِ ۚ فَإِنْ قٰتَلُوكُمْ فَاقْتُلُوهُمْ ۗ كَذٰلِكَ جَزَآءُ الْكٰفِرِينَ ﴿١٩١﴾ فَإِنِ انْتَهَوْا فَإِنَّ اللّٰهَ غَفُورٌ رَّحِيمٌ ﴿١٩٢﴾ وَقٰتِلُوهُمْ حَتّٰى لَا تَكُونَ فِتْنَةٌ وَّيَكُونَ الدِّينُ لِلّٰهِ ۗ فَإِنِ انْتَهَوْا فَلَا عُدْوَانَ إِلَّا عَلَى الظّٰلِمِينَ ﴿١٩٣﴾ اَلشَّهْرُ الْحَرَامُ بِالشَّهْرِ الْحَرَامِ وَالْحُرُمٰتُ قِصَاصٌ ۗ فَمَنِ اعْتَدٰى عَلَيْكُمْ فَاعْتَدُوا عَلَيْهِ بِمِثْلِ مَا اعْتَدٰى عَلَيْكُمْ ص

---

**فَإِنْ قٰتَلُوكُمْ** ہرگاہ جنگ کرنس اندر تموی شُروع کور کرنس ابتدا کرن مسجدِ حرامَس منز **فَاقْتُلُوهُمْ** تیلہ ماریوکھ تُہہ تہ تتھے **كَذٰلِكَ جَزَآءُ الْكٰفِرِينَ** کیازہ یوہے چھُو سزا کافرن ہُند۔ **فَإِنِ انْتَهَوْا** ہرگاہ تمِ امہِ پتہ شرک وکُفرہ نِشہِ پتھ رُوزِتھ مُسلمان سپدن تہ توبہ کرن **فَإِنَّ اللّٰهَ غَفُورٌ رَّحِيمٌ** پس بخشہ اللہ تعالیٰ تمن کیازِہ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ بخشہ وُن سیٹھاہ رحم کرہ وُن **وَقٰتِلُوهُمْ حَتّٰى لَا تَكُونَ فِتْنَةٌ** بیہِ کرِو تمن سیت جنگ تو تتانِ کہ فتنہ تہ فساد روزِہ نہ کُنہِ۔ شرک سپدِہ معدوم **وَّيَكُونَ الدِّينُ لِلّٰهِ** پرستش تہ اِطاعت ییہِ کرنہ خدایہِ سنزی یاژ **فَإِنِ انْتَهَوْا فَلَا عُدْوَانَ إِلَّا عَلَى الظّٰلِمِينَ** پس اگر تمِ پتھ روزن شرکہ نِشہِ فتنہ و فسادہ نِشہِ۔ پس چھنہ زیادتی کرن جائز ظالمن ورائی کانسہِ پیٹھ۔ **اَلشَّهْرُ الْحَرَامُ بِالشَّهْرِ الْحَرَامِ** تعظیمک رت چھُو مقابل تعظیمِ کِس رتس **وَالْحُرُمٰتُ قِصَاصٌ** تعظیمک چیز چھِ ادلہ بدلہ۔ یعنی برونٹھمہ ورہِ یلہِ تُہہ آیےِ وہ عُمرہ کرنہ خیطرہ ماہِ ذی القعدس اندر تمِو کافرو رٹوہ تُہہ پتھ عمرہ کرنہ نِشہِ۔ حُدیبیہ نِشہِ دُیت ہوَہ نہ برونٹھ پکنہ۔ یتھہ موقعس پیٹھ اوہ صلح حُدیبیہ سپد۔ پتہ آوہ تُہہ دوَیمہِ ورہِ عمرۃ القضا کرنہ خیطرہ اتھہ ماہِ ذی القعدس اندر مگر تُہہ چھِوہ اندیشہِ کران ماہ ذی القعدس اندر جنگ کرنس اندر۔ تتھ متعلق چھُو اللہ تعالیٰ احکام فرماوان۔ ہرگاہ تمِ تُوہہِ تعظیم کین رتین اندر تعظیم کین جاین اندر اورہ مقابلہ کرنہ خیطرہ ینِ تُہہ مہ برِوکانہہ پروا۔ تہہ تہِ کرِو تمن سیت خوب مقابلہ **فَمَنِ اعْتَدٰى عَلَيْكُمْ فَاعْتَدُوا عَلَيْهِ بِمِثْلِ مَا اعْتَدٰى**

وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ مَعَ الْمُتَّقِيْنَ ﴿۱۹۴﴾ وَاَنْفِقُوْا فِيْ
سَبِيْلِ اللّٰهِ وَلَا تُلْقُوْا بِاَيْدِيْكُمْ اِلَى التَّهْلُكَةِ ۚۖۛ وَاَحْسِنُوْا ۚۛ اِنَّ
اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۱۹۵﴾ وَاَتِمُّوا الْحَجَّ وَالْعُمْرَةَ لِلّٰهِ ۭ فَاِنْ
اُحْصِرْتُمْ فَمَا اسْتَيْسَرَ مِنَ الْهَدْيِ ۚ وَلَا تَحْلِقُوْا رُءُوْسَكُمْ حَتّٰى
يَبْلُغَ الْهَدْيُ مَحِلَّهٗ ۭ فَمَنْ كَانَ مِنْكُمْ مَّرِيْضًا اَوْ بِهٖٓ اَذًى مِّنْ
رَّاْسِهٖ فَفِدْيَةٌ مِّنْ صِيَامٍ اَوْ صَدَقَةٍ اَوْ نُسُكٍ ۚ فَاِذَآ اَمِنْتُمْ ۣ

عَلَيْكُمْ پس ئُس حده ڏلهِ توهه پيٺه پس تُهه ته ڏلو حده لس پيٺه تيڙ هن ايڙهن سُو حده ڏولمت آسه
وَاتَّقُوا اللّٰهَ تُهه کهو ڙِ خدا ايَس وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ مَعَ الْمُتَّقِيْنَ يقين زانوِ که پڙپاڙه الله تعالىٰ چهو کهو ڙه
ونين سيت ياري ته مدد کرنه خيطر ه وَاَنْفِقُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بيهِ کرو خرچ مال پنُن خدايهِ سنزِ ه وتهِ
اندر دشمن سيت مُقابله کرنه خيطر ه ييسو مثلِ جنگ سامان۔ ڙهروے اتھومَه آسوِ جهاد کرنه نيران۔ سُو
گوياں پنُن پانٔے هلاکتس منز تراوُن وَلَا تُلْقُوْا بِاَيْدِيْكُمْ اِلَى التَّهْلُكَةِ مَه آسوِ پنُن پان پنه نيو اَتھو
هلاکتس منز تراوان مال خرچ نه کرنه سيت۔ مالس اندر تھين موقعن پيٺه بُخل کرنکُ انجام چهُو هلاکت
ته تباهی وَاَحْسِنُوْا کام آسوِ پُختہ ته مضبوط کران اِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُحْسِنِيْنَ پڙپاٺِ الله تعالىٰ اس
چهِ پسند رڙکام ته پختہ کام کره ونِ وَاَتِمُّوا الْحَجَّ وَالْعُمْرَةَ لِلّٰهِ پوره کروحج ته عمره خدايه سندِ ه خيطر ه
يعني يلهِ حُجک يا عمرک احرام گنڈان آسوسۆ آسوِ با تمام واتناوان منزے مَه آسوِ احرامه نشه نيران بلاوجه
فَاِنْ اُحْصِرْتُمْ هر گاه توه بند ايو کرنه ، پتهه ايوِ رٹنه ، کانهه دشمن يا بيماري رٹهِ توهه پتهه فَمَا اسْتَيْسَرَ
مِنَ الْهَدْيِ پس چهو لازم توهه قربانک جانورئُس توهه ميسر سپدِ ه ذبح کرنه خيطر ه سوزُن وَلَا تَحْلِقُوْا
رُءُوْسَكُمْ حَتّٰى يَبْلُغَ الْهَدْيُ مَحِلَّهٗ بيه مَه کاسِو کلن مس يعني احرامه منزه مه نيرو توتانِ يوت تانِ نه
قربانکُ جانور نپنهِ جايهِ واته فَمَنْ كَانَ مِنْكُمْ مَّرِيْضًا پس اگر توهه منزه کانهه بيمار آسه اَوْ بِهٖٓ اَذًى مِّنْ
رَّاْسِهٖ يا آسيس کلس کينهه تکليف يمه سبهه مس پيَس کاسُن سۆ کاسِن مس ته دِين فديه فَفِدْيَةٌ مِّنْ

فَمَنْ تَمَتَّعَ بِالْعُمْرَةِ إِلَى الْحَجِّ فَمَا اسْتَيْسَرَ مِنَ الْهَدْيِ ۚ فَمَنْ لَّمْ يَجِدْ فَصِيَامُ ثَلٰثَةِ أَيَّامٍ فِي الْحَجِّ وَسَبْعَةٍ إِذَا رَجَعْتُمْ ۗ تِلْكَ عَشَرَةٌ كَامِلَةٌ ۗ ذٰلِكَ لِمَنْ لَّمْ يَكُنْ أَهْلُهُ حَاضِرِي الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ ۚ وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاعْلَمُوْا أَنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ﴿١٩٦﴾ اَلْحَجُّ أَشْهُرٌ مَّعْلُوْمٰتٌ ۚ فَمَنْ فَرَضَ فِيْهِنَّ الْحَجَّ فَلَا رَفَثَ وَلَا فُسُوْقَ وَلَا جِدَالَ فِي الْحَجِّ ۗ وَمَا تَفْعَلُوْا مِنْ خَيْرٍ يَّعْلَمْهُ اللّٰهُ ۗ وَتَزَوَّدُوْا

---

صِيَامٍ أَوْ صَدَقَةٍ أَوْ نُسُكٍ پس ڇهوٽس پيٺه فديه ڏين، ترين ڏوهن روزه دار روزن يا صدقه ڪرن شين مسڪين کهين ڏين ياڪهه ياڙهاول ذبح ڪرن فَإِذَا أَمِنْتُمْ پس يله توهه تمو چيز ونشه امن وامان سپده فَمَنْ تَمَتَّعَ بِالْعُمْرَةِ إِلَى الْحَجِّ پس ليس اکهاه عمره چوکاميو نشه فارغ سپدت حجک احرام گنڈه يعنے تمتع کره فَمَا اسْتَيْسَرَ مِنَ الْهَدْيِ پس ڇهوٽس پيٺه لازم ذبح ڪرن يس جانور ميسّر سپد يس فَمَنْ لَّمْ يَجِدْ فَصِيَامُ ثَلٰثَةِ أَيَّامٍ فِي الْحَجِّ پس يس اکس نه جانور ميسّر سپده لتس ڇهومٹه ترين دوهن روزه دار روزن حجه کين دوهن اندر وَسَبْعَةٍ إِذَا رَجَعْتُمْ بيه ستن دوهن حجه پته يله واپس ييوُن تِلْكَ عَشَرَةٌ كَامِلَةٌ تيم گے پوره ده دوه۔ ذٰلِكَ لِمَنْ لَّمْ يَكُنْ أَهْلُهُ حَاضِرِي الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ يه حکم گو تمن يم نه مکی آسن بلکه آسن آفاقی وَاتَّقُوا اللّٰهَ بيه کهو ڙوخدا ليس يُتهه نه تهندين حُکمن خلاف کرو وَاعْلَمُوْا أَنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ بيه زانو که بے شک الله تعالیٰ چهو سخت عذاب کره وُن احکامن هنز مخالفت کره وَنين اَلْحَجُّ أَشْهُرٌ مَّعْلُوْمٰتٌ حجک موقعه چهو کيهنه ريتهه تم مقرر چهه شوال ذی قعده ته ذی الحجک ده دوه فَمَنْ فَرَضَ فِيْهِنَّ الْحَجَّ پس يُس اکهاه يمن رتين حج کرنه خيطره احرام گنڈه فَلَا رَفَثَ وَلَا فُسُوْقَ وَلَا جِدَالَ فِي الْحَجِّ پس گرڇهه نه زنانن سيت نزديکی کرن ياتهه متعلق کتهه باتهه کرن نه گرڇهه بدکاری ته خلافِ شرع کانهه کام کرن۔ نه گرڇهه پانه وان هره هر ته لايه لای کرن اتهه حجه کس زمانس اندر۔ وَمَا تَفْعَلُوْا مِنْ خَيْرٍ يَّعْلَمْهُ اللّٰهُ يوسه خير چ کاماه تهه کران چهوه بدنی عباداتو اندره يا مالی عباداتو اندره ته سوری

فَاِنَّ خَيْرَ الزَّادِ التَّقْوٰى ۫ وَاتَّقُوْنِ يٰٓاُولِي الْاَلْبَابِ ﴿۱۹۷﴾
لَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ اَنْ تَبْتَغُوْا فَضْلًا مِّنْ رَّبِّكُمْ ؕ
فَاِذَآ اَفَضْتُمْ مِّنْ عَرَفٰتٍ فَاذْكُرُوا اللّٰهَ عِنْدَ
الْمَشْعَرِ الْحَرَامِ ۪ وَاذْكُرُوْهُ كَمَا هَدٰىكُمْ ۚ وَاِنْ
كُنْتُمْ مِّنْ قَبْلِهٖ لَمِنَ الضَّآلِّيْنَ ﴿۱۹۸﴾ ثُمَّ اَفِيْضُوْا مِنْ
حَيْثُ اَفَاضَ النَّاسُ وَاسْتَغْفِرُوا اللّٰهَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ

---

چھو زانان اللہ تعالیٰ وَتَزَوَّدُوْا فَاِنَّ خَيْرَ الزَّادِ التَّقْوٰى بیہ آسِو تہ خرچ تلان سیت۔ پچھان پچھان مہ آسِو ج کرنہِ نیران۔ بیشک رُت وتہ خرچ گو تقویٰ یس بیس اتھ دار نہ نشہِ بچاوِہ وَاتَّقُوْنِ يٰٓاُولِي الْاَلْبَابِ مے یوت کھو ژواے عقلہِ والیومہ کرِ و میانین حُکمن ہنز مخالفت لَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ اَنْ تَبْتَغُوْا فَضْلًا مِّنْ رَّبِّكُمْ تو ہہ چھو نہ کانہہ گوناہ ہر گاہے تُہہ جِکس موقعس پیٹھ کسب کُرِتھ، مزورِ محنت کرِتھ یا تجارت تہ کاروبار کرِتھ تلاش کرِو معاش پُنن پنہ نس پروردگارہ سندِہ فضلہ اندرہ۔ عام خیال یُس لوکن ہُند چھو کہ سفر جِس اندر گژھنہ گُنہ قِسمہ کسب وکار یا تجارت تہ کاروبار کرُن اتھ خیالس چھو اللہ تعالیٰ صریح طور ردّ کران۔ فَاِذَآ اَفَضْتُمْ مِّنْ عَرَفٰتٍ فَاذْكُرُوا اللّٰهَ عِنْدَ الْمَشْعَرِ الْحَرَامِ ادہ یلہِ تُہہ میدانِ عرفاتہ نشہِ واپس ہیوُن پَس کرِو خدایہ سُند یاد میدان مزدلفس نزدیک تتھ راتس یعنی عید ہندِس شبس روز و میدانِ مزدلفےَ اندر خدایہ سند یاد کران ( مشعر حرام چھو میدان مُزدلفس اندس پیٹھ اکہ کوہک ناو ) وَاذْكُرُوْهُ كَمَا هَدٰىكُمْ خدایہ سُند یاد کرِو تِتھہ پاٹھہِ تمِ بیان کورُنو یعنی لبیک لبیک پرِ و لا الہ الا اللہ پرِ و دعا کرِو۔ یا گو معنی خدایہ سند یاد کرِو کیازہ تمِ کورو وہ ہدایت، تمِ ہاووِ وَتھ جکین احکامن کُن وَاِنْ كُنْتُمْ مِّنْ قَبْلِهٖ لَمِنَ الضَّآلِّيْنَ ورنہ آسِو ناتوِہ تمسندِ وتھ ہاونہ برونٹھ گمرہ ہو اندرہ، وتہ ڈلمیو اندرہ۔ یا گو معنے یزِ پاٹھہِ آسوِتُہہ امسِ رہبرِ کامِل حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلم سندِہ تشریف انہ برونٹھ وتہِ ڈلمیو اندرہ ثُمَّ اَفِيْضُوْا مِنْ حَيْثُ اَفَاضَ النَّاسُ تو پتہ ییو

غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿١٩٩﴾ فَإِذَا قَضَيْتُمْ مَّنَاسِكَكُمْ فَاذْكُرُوا اللّٰهَ كَذِكْرِكُمْ اٰبَآءَكُمْ اَوْ اَشَدَّ ذِكْرًا ؕ فَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَّقُوْلُ رَبَّنَآ اٰتِنَا فِى الدُّنْيَا وَمَا لَهٗ فِى الْاٰخِرَةِ مِنْ خَلَاقٍ ﴿٢٠٠﴾ وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّقُوْلُ رَبَّنَآ اٰتِنَا فِى الدُّنْيَا حَسَنَةً وَّفِى الْاٰخِرَةِ حَسَنَةً

---

واپَس تمی جایہ پیٹھ یمہِ جایہِ پیٹھ ساری لُوکھ واپس آےٚ یعنی میدانِ عرفاتہ پیٹھ، قریشن ہندِ پاٹھِ مہ آسوِ عرفاتس منز سارنی لوکن سیت سُمن توپتہ تتی پیٹھ سارنی لوکن سیت واپس یُن عار زانان۔ تمِ قریش آسِ پُنن پان تھودزانتھ مُزدلفہ پیٹھے واپس یوان۔ تمہِ نشہِ فرماو اللہ تعالیٰ ان ممانعت۔ وَاسْتَغْفِرُوا اللّٰهَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ جکِین حکمن اندر جاہلیتکین رسمن پیٹھ عمل کرنس پیٹھ منگو خدایس مغفرت پزِ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن سیٹھاہ رحم کرہ وُن فَإِذَا قَضَيْتُمْ مَّنَاسِكَكُمْ ادہ یلہِ تُہہِ موکلاوان آسوِ پننہ حجہ چہِ کامہِ یعنی وڈرِ ہندکنہِ پھلِ تراوتھ، مَس کِاستھ، طواف زیارت کرِت آسوِ موکلان فَاذْكُرُوا اللّٰهَ كَذِكْرِكُمْ اٰبَآءَكُمْ اَوْ اَشَدَّ ذِكْرًا پس آسوِ خدایہِ سُند یاد کران یتھہ پاٹھہ تُہہ مالین بڈبن ہند یاد کران آسوہ بلکہ تمہ خوتہ زیادہ آسوِ خدایہِ سندوی یاد کران۔ اتھہ موقعس پیٹھ چھُونہ کانسہِ ہند یاد کرن لازم خدایہ سندِ یادہ ورایِ۔ مالین بڈِ بن ہندِہ سیت فخر کرُن چھُو بے سُود تہ بے فائیدہ۔ پدرم سلطان بُود ونہ نگُ جواب چھُو تُراچہ۔ قبرِ منزہ لیہِ نہ پرژھنہ پدرت کیسِت۔ تتہِ پیہِ پرژھنہ عملت چیست فَمِنَ النَّاسِ پس چھِ لُوکو اندرہ بعضے مَنْ يَّقُوْلُ رَبَّنَآ اٰتِنَا فِى الدُّنْيَا تِم ونان چھِ ای سانہ پروردگارہ اسہِ کر عطا دنیاءس اندر رتوی تمِ چھِ ژھانڈان فقط دنیا کوی مطلب وَمَا لَهٗ فِى الْاٰخِرَةِ مِنْ خَلَاقٍ تہندہ خیطرہ چھُونہ آخرتس اندر کانہہ حصاہ وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّقُوْلُ لوکو اندرہ چھِ باایمان تِم دپان چھِ، منگان چھِ رَبَّنَآ اٰتِنَا فِى الدُّنْيَا حَسَنَةً وَّفِى الْاٰخِرَةِ حَسَنَةً ای سانہِ پروردگارہ اسہِ کر عطا دنیاءس اندرتہِ رتُوی آخرِتس

وَّقِنَا عَذَابَ النَّارِ ﴿۲۰۱﴾ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ نَصِيْبٌ مِّمَّا كَسَبُوْا ؕ وَاللّٰهُ سَرِيْعُ الْحِسَابِ ﴿۲۰۲﴾ وَاذْكُرُوا اللّٰهَ فِيْٓ اَيَّامٍ مَّعْدُوْدٰتٍ ؕ فَمَنْ تَعَجَّلَ فِيْ يَوْمَيْنِ فَلَآ اِثْمَ عَلَيْهِ ۚ وَمَنْ تَاَخَّرَ فَلَآ اِثْمَ عَلَيْهِ ۙ لِمَنِ اتَّقٰى ؕ وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّكُمْ اِلَيْهِ تُحْشَرُوْنَ ﴿۲۰۳﴾

---

اندرتہِ رتوی وَّقِنَا عَذَابَ النَّارِ بیہِ بچاواَسہِ عذابہ نِشہِ۔ حضرتِ علی مرتضٰی رضی اللہ عنہ تِمن نِشہِ چھُو نقل کرنہ آمُت کہ تِمو فرموو حسنہ دنیاگییہِ نیک زنانہ حسنہ آخرت گیہ حورِ عین۔ عذاب نارگو خراب زنانہ۔ بدخوی۔ بد شکل وصورت تیز کلام کرہ وِن اُولٰٓئِكَ لَهُمْ نَصِيْبٌ مِّمَّا كَسَبُوْا یِم لوکھ گے تِم تِمن ہندِہ خیطرہ بوڈحصہِ چھُو تِمن نیکین ہُند یمہِ تِمو حاصل کرہِ تِمنی نیکین ہُند ثواب کریکھ عطاذرہ ذرہ حساب بوزِتھ وَاللّٰهُ سَرِيْعُ الْحِسَابِ اللہ تعالیٰ چھُو جلد حِساب بوزہ وُن۔ وَاذْكُرُوا اللّٰهَ فِيْٓ اَيَّامٍ مَّعْدُوْدٰتٍ بیہ کرِ واللہ تعالیٰ سُند یادگنز اراونہ آمتین دوہن اندر۔ تِمو اندرہ چھہِ مُراد ایام تشریق قربان کرنک دوہ۔ تِمن دوہن اندر آسِو تکبیرات پران اللہ اکبر اللہ اکبر لا الہ الا اللہ واللہ اکبر اللہ اکبر وللہ الحمد، فرض نمازہِ پتہ بیہِ تِمہِ ورای تہِ فَمَنْ تَعَجَّلَ فِيْ يَوْمَيْنِ فَلَآ اِثْمَ عَلَيْهِ یُس اکھاہ جلدی گرِہ مِنی منزہ واپس یِنس اندر۔ دوئی دوہِ یِیہِ واپس تس چھُو نہ کانہہ قصور وَمَنْ تَاَخَّرَ فَلَآ اِثْمَ عَلَيْهِ یُس برابر ترین دوہَن منی اَس منز روزِت ترِیمہِ دُہک کِنہ پھلِ تہِ تراوِتھ واپس یِیہِ تَس تہِ نہ کانہہ قصور لِمَنِ اتَّقٰى یہ گولتس یُس خدایس کھوژِہ وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّكُمْ اِلَيْهِ تُحْشَرُوْنَ بیہِ کھوژو ہمیشہ ای مسلمانو اللہ تعالیٰ اس یقین تھاوو کہ بیشک تُہہ ساری ایوِ تس نشہ جمع کرنہ تہ سومبراونہ قیامتِہ دوہہَ محشرکِس میدانس اندر وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يُّعْجِبُكَ قَوْلُهٗ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا لوکو اندرہ چھُو ترےیِم قسم یمن ہُند ظاہرِ چھُو اکھ باطن چھُو بیاکھ زیو چھ اکھ دِل چھُو بیاکھ۔ برونٹھ کنہِ چھہِ اکھ بُتھ پتہ کنہِ چھہِ بیہ بُتھ۔ اکھ قِسم گولوکن ہند یِم دنیا ژھانڈان،

وَمِنَ النَّاسِ مَنۡ يُّعۡجِبُكَ قَوۡلُهٗ فِى الۡحَيٰوةِ الدُّنۡيَا وَيُشۡهِدُ
اللّٰهَ عَلٰى مَا فِىۡ قَلۡبِهٖۙ وَهُوَ اَلَدُّ الۡخِصَامِ ﴿۲۰۴﴾ وَاِذَا تَوَلّٰى سَعٰى
فِى الۡاَرۡضِ لِيُفۡسِدَ فِيۡهَا وَيُهۡلِكَ الۡحَرۡثَ وَالنَّسۡلَ ؕ وَاللّٰهُ
لَا يُحِبُّ الۡفَسَادَ ﴿۲۰۵﴾ وَاِذَا قِيۡلَ لَهُ اتَّقِ اللّٰهَ اَخَذَتۡهُ
الۡعِزَّةُ بِالۡاِثۡمِ فَحَسۡبُهٗ جَهَنَّمُ ؕ وَلَبِئۡسَ الۡمِهَادُ ﴿۲۰۶﴾ وَمِنَ

---

آخرچ چھکنہ کا نہہ فکر۔ بیاکھ قِسم گوتِم دنیاتہِ چھہِ ژھانڈان آخرت تہِ چھہِ ژھانڈان ترتِمٕ قِسم گوتِم ظاہرہ پاٹھہ چھہِ نیٖرِ اوان دنیانِشہِ بیزاری تہ آخر تُک خیال۔ یہنزہ تیچھہ کتھہ تو ہِ یارسول اللہ عجائب چھہ بوزنہ یوان دنیاچہِ زندگی متعلق۔ چنانچہ اخنس بنِ شریق ثقفی منافق اوس نبی کریم صلی اللہ علیہِ وسلمن نِشہِ یوِان توپتہ پچھہِ تہ مدرہِ کتھہ کرِ کر تمن پننِ سچائی بہناونچ کوشِش کران وَيُشۡهِدُ اللّٰهَ عَلٰى مَا فِىۡ قَلۡبِهٖۙ خدالیس اوس گواہ پیش کران پننہِ دلہ کِس حالکس پیٹھہ۔ اللہ تعالیٰ اس آس خبرے تہند حال کیاہ چھُو۔ سُو چھُو فرماوان وَهُوَ اَلَدُّ الۡخِصَامِ حقیقت چھہ یہ کہِ سُو چھُو تُہند سخت دشمن۔ تہندین پیرون ہند سخت دشمن۔ وَاِذَا تَوَلّٰى سَعٰى فِى الۡاَرۡضِ لِيُفۡسِدَ فِيۡهَا وَيُهۡلِكَ الۡحَرۡثَ وَالنَّسۡلَ امہ پتہ یلہ تو ہِہ نِشہِ نیٖران چھُو، کوشِش چھُو کران شہرس منز فساد کرنچ۔ بیہ تباہ کران زراعت تہ چاروای لُوکن ہند۔ چنانچہِ یُوہے منافق اخنس بن شریق یلہِ ا کہِ دوہہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن نشہ کیھنہ کالاہ کتھہ کرت دراوٗ۔ نیٖبر نیرتھہ دیُتن نار غریب مسلمانن ہندِس زراعتس بیہ مارِن تہِند چاروای تہ گیٖن وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ الۡفَسَادَ اللہ تعالیٰ اس چھُونہ پسند فساد وَاِذَا قِيۡلَ لَهُ اتَّقِ اللّٰهَ تو پتہ یلہِ تَس وننہ چھُو یوان خدالیس کھوژلو کن مہ واتناو نقصان اَخَذَتۡهُ الۡعِزَّةُ بِالۡاِثۡمِ آمادہ چھُو تَس کران تکبّر تہ نخوت زیادہ گناہ کرنس پیٹھہ فَحَسۡبُهٗ جَهَنَّمُ تسندِہ حقہ چھُو بس نار جہنم تتھہ منزواتتھ ہمہِ تَس سُو تکبّر تہ غُرورُک نار وَلَبِئۡسَ الۡمِهَادُ کاژاہ تیچھہ جای آرامچ چھہ سُو جہنم وَمِنَ النَّاسِ مَنۡ يَّشۡرِىۡ نَفۡسَهُ بیہ چھُو لوکو اندرہ ژورتِمٕ قِسم یم پُنن پان کنان چھہِ ابۡتِغَآءَ مَرۡضَاتِ اللّٰهِ خدایہِ سُند رضا ژھانڈنہ خیطرہ وَاللّٰهُ

النَّاسِ مَنْ يَّشْرِيْ نَفْسَهُ ابْتِغَآءَ مَرْضَاتِ اللّٰهِ ؕ وَ
اللّٰهُ رَءُوْفٌۢ بِالْعِبَادِ ﴿۲۰۷﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا
ادْخُلُوْا فِي السِّلْمِ كَآفَّةً ۠ وَلَا تَتَّبِعُوْا خُطُوٰتِ
الشَّيْطٰنِ ؕ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ ﴿۲۰۸﴾ فَاِنْ زَلَلْتُمْ مِّنْۢ

---

رَءُوْفٌۢ بِالْعِبَادِ اللہ تعالیٰ چھُو تِھین بندن پیٹھ سیٹھاہ مہربان يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا ادْخُلُوْا فِي السِّلْمِ كَآفَّةً اے بایمانو داخل سپدِو اِسلامس اندر پوٗر پور۔ اِسلامک ساری حُکم انِو بجااَڈِ حکم مانِن تہٕ اڈین حکمن پیٹھ نہ عمل کرن یہ چھہ یہودن ہنز طریق مسلمان گوسُوی یُس سارنی حکمن گردن دارِہ وَلَا تَتَّبِعُوْا خُطُوٰتِ الشَّيْطٰنِ پتہٕ پتہٕ مہٕ پکِو شیطانہ سندین پدین دور نگی تہٕ نفاق تراوو۔ اسلامہ کین حکمن سیت مہٕ ملہِ ناوِ پننہِ خیالہ یا شیطانہ سندِہ وسوسہ سیت بدل احکام اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ پزپاٹھ شیطان چھُو تہند نون دشمن۔ یتھہ آیہ کریمس منز چھُو اللہ تعالیٰ بدعتہ چین کامین رد کران پتمس آیہ کریمس اندر آس مخلص بندن ہنز تعریف۔ بعضے وقت چھُو مخلص بندہ تہٕ افراطس گرفتار سپدان۔ سُو چھُو پننہِ خیالہ کانہہ رژ کاماہ کران مگر سُو چھُنہٕ شریعتس تہٕ سُنتس موافق آسان۔ یُس کام نہ سُنتس موافق آسہِ تتھہ چھہِ ونان بدعت۔ یہودِی دینس منز آس بٹہ وار اکھ تعظیمک دوہا۔ چنانچہ حضرتِ عبداللہ بنِ سلام یم یہودن ہندیو عالمہ اندرہ آسِ تم آسِ اسلام انتھہِ تہٕ اتھہ دوہس تعظیم چہ نظرِ ہ وچھان۔ بیہ اوس یہود تیس منز ووٹہ ماز حرام تہٕ حضرتِ عبداللہ بن سلام آسِ نہ اسلام انتھہِ تہٕ ووٹہ ماز کھیوان اتھہ منز آسِ زانان پننہِ خیالہ خدایہ سنز اطاعت۔ اللہ تعالیٰ ان کوراتھہ خیالس اصلاح فرموون اے بایمانو اسلامک ساری احکام انِو بجا۔ یمہِ آیہ کریمک معنی تہٕ تفسیرہ سیت چھُو ظاہر سپدان کہ بدعتہ چین تہٕ خلافِ شرع کامین کتھہ پاٹھِ چھُو اللہ تعالیٰ مذمت تہٕ ردّ فرماوان حدیثِ شریفن منز چھُو وضاحتہ سان بدعتہ چین، خلافِ شرع تہٕ خلافِ سنت کامین ہنز مذمت بیان کرتھہ سخت وعید بیان کرنہ آمت حقیقتس اندر چھُو بدعت سیٹھاہ مذموم چیز۔ کیازہ بدعت گو غیر شریعتس شریعت

بَعْدِ مَا جَآءَتْكُمُ الْبَيِّنٰتُ فَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿۲۰۹﴾ هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّآ اَنْ يَّاْتِيَهُمُ اللّٰهُ فِيْ ظُلَلٍ مِّنَ الْغَمَامِ وَالْمَلٰٓئِكَةُ وَقُضِيَ الْاَمْرُ ۭ وَاِلَى اللّٰهِ تُرْجَعُ الْاُمُوْرُ ﴿۲۱۰﴾ سَلْ بَنِيْٓ اِسْرَاۗءِيْلَ كَمْ

---

بناوُن۔ شریعت گوتی یہ خدایہ سندِہ طرف آسہٕ۔ یہٕ حضرتِ شارع اِسلام صلی اللہ علیہِ وسلمن خدایہ سندِہ طرفہ اونمُت آسہٕ۔ ڈونِ یُس شخصاہ پنہٕ طرفہ کانہہ چیز اہ نوور اوہ یُس نہ شرعس تہٕ سنٔتس منز آمُت آسہِ تہٕ گو خدایس پیٹھہ افتراء کرُن اُپز نوراوُن وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا یُس خدایس پیٹھہ اُپز نوراوہ تس برابر چھُونہ ظالِم کانہہ۔ زیادہ مشکل چھُو یہ کہِ امِس بدعتچ کام کرہ ونِس چھُونہ توبہ کرنکُ توفیق تہٕ بنان کیازہ امِس چھُونہ امہ کامہِ ہندِہ گناہ آسنکُ احساسی سپدان زانہہ سُو چھُو زانان بوچھُوس یہ کام رژ کران۔ حالانکہِ یہٕ چھہ سراسر نافرمانی تہٕ گناہچ کام فَاِنْ زَلَلْتُمْ پس ہر گاہ تہٕنٛد قدم ڈلہِ تہٕ ثابتِ رُودنہ اسلامس پیٹھہ یعنی تُہہ کرُونہ اسلامہ کین سارنی احکامن پیٹھہ عمل مِّنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَتْكُمُ الْبَيِّنٰتُ توہہِ اسلامکہِ مذہبِ حق آسنچہِ ننہٕ دلیلہ واتنہ پتہٕ ادہ تمیوک نقصان چھُونہ کانسہِ اسِ دِمَو خلافِ اسلام کامہِ کرہ ونین ضرور سزا فَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ تہٕنٛدِ گژھہِ زانن وارہ پاٹھہ کہ بیشک اللہ تعالیٰ چھُو زبردست حکمتہٕ ڈول هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّآ اَنْ يَّاْتِيَهُمُ اللّٰهُ فِيْ ظُلَلٍ مِّنَ الْغَمَامِ وَالْمَلٰٓئِكَةُ چھنہٕ پراران تمِ مگر اتھہٕ کتھہِ کہ اللہ تعالیٰ تہٕ تہٕند ملائیک گژھہ واتنِ تمن نِشہ سفید ابرہ کین سائبانن منز تمن سزاد نہ خیطرہ وَقُضِيَ الْاَمْرُ بیہ گوژھہ قصی ختم یُن کرنہ۔ یعنی جزاء وسزاک قِصہ یُس قیامتہ ووہہ طے کرنہ ییہ۔ سو گژھہِ دنیاسی منز طے کرنہ یُن۔ وَاِلَى اللّٰهِ تُرْجَعُ الْاُمُوْرُ اللہ تعالیٰ سی کُن ین سارے کامہِ واتناونہ۔ ساری مقدمات پیش کرنہ۔ سُوی گرہ پانٔے سارنی اَمرن ہُند فیصلہ بانبران کیازہ چھہِ یم۔ سَلْ بَنِيْٓ اِسْرَاۗءِيْلَ كَمْ اٰتَيْنٰهُمْ مِّنْ اٰيَةٍۢ بَيِّنَةٍ پرژھو تُہہ بنی اسرائیلن اسہِ کاژاہ ننہٕ دلیلہ کرِ تمن پیش ہدایتہ چہٕ، یمہِ تہٕندہ خیطرہ بجہ نعمژ آسہ مگر

اٰتَيْنٰهُمْ مِّنْ اٰيَةٍۢ بَيِّنَةٍ ؕ وَمَنْ يُّبَدِّلْ نِعْمَةَ اللّٰهِ مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَتْهُ فَاِنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ﴿۲۱۱﴾ زُيِّنَ لِلَّذِيْنَ كَفَرُوا الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا وَيَسْخَرُوْنَ مِنَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا ۘ وَالَّذِيْنَ اتَّقَوْا فَوْقَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ ؕ وَاللّٰهُ يَرْزُقُ مَنْ يَّشَآءُ بِغَيْرِ حِسَابٍ ﴿۲۱۲﴾ كَانَ النَّاسُ اُمَّةً وَّاحِدَةً قف

---

تموزان نہ تمن نعمن ہنز قدر تموبدلاوِہ تمہِ نعمژ کُفرس سیت وَمَنْ يُّبَدِّلْ نِعْمَةَ اللّٰهِ مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَتْهُ وئن یُس اکھاہ بدلاوِہ خدایہِ سنز نعمت کُفرانِ نعمتس سیت سو نعمت واتتھ فَاِنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ادہ اللہ تعالیٰ تہِ چھُو سخت عذاب کرہ وُن تس سُو سزا ییہِ دنہ تس دنیاسی اندر یا آخرتس اندر زُيِّنَ لِلَّذِيْنَ كَفَرُوا الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا دنیاءچ زندگی چھہ کافرن مزین تہ خوبصورت بوزنہ یِوان وَيَسْخَرُوْنَ مِنَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا تو ے چھہِ تمِ مسکین تہ فقیر باایمانن ٹسنہ کران تہ ٹھٹھہ کران وَالَّذِيْنَ اتَّقَوْا فَوْقَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ حالانکہ یمِ لُوکھ خدایَس کھوژتہ شرکہ نِشہِ پتھہ رُود تم آسَن قیامتھِ دوہہ تمن پیٹھہ کنہِ سیٹھاہ تھدین مرتبن اندر اعلیٰ علیئس اندر۔ انسانس پزِہ نہ مال و دولتہ سیت مغرور سپُدن کیازہ وَاللّٰهُ يَرْزُقُ مَنْ يَّشَآءُ بِغَيْرِ حِسَابٍ اللہ تعالیٰ چھُو رزق عطا کران یمن یژھان چھُو حسابہ روستوی۔ امُیک دار و مدار چھو قسمتس پیٹھہ۔ امیک دار و مدار چھُونہ کمالس تہ مقبولیتس پیٹھہ۔ یعنی یہ چھونہ ضروری کہ یُس مال و دولتس اندر بوڈ آسہِ سُوی چھُو اللہ تعالیٰ اس نِشہِ مقبول تہ مُقرّب ے۔ بڈکتھ چھہ خدایس نِشہِ مقبول آسُن تتھہ چھُونہ مالس سیت تعلق کنہہ تہ سُو چھوکُنہِ وقتہ فقیرس مالدار بناوان تہ کنہُ وقتہ مالدارس فقیر تہ محتاج بناوان۔ چنانچہ ییمے فقیر صحابہ صیب یمن یمِ کافرِ مالدار ٹھٹھہ کران آسِ بناو اللہ تعالیٰ اَن بنی قریظہ تہ بنی نضیر کہ مال و دولتک، بییہ روم تہ فارسکین بجن بجن سلطنتن ہندِ مالکِ كَانَ النَّاسُ اُمَّةً وَّاحِدَةً اکھ زمانہ اوس ساری لُوکھ آسِ اَکسی دینس پیٹھہ۔

فَبَعَثَ اللّٰهُ النَّبِيّٖنَ مُبَشِّرِيْنَ وَمُنْذِرِيْنَ ۪ وَاَنْزَلَ مَعَهُمُ
الْكِتٰبَ بِالْحَقِّ لِيَحْكُمَ بَيْنَ النَّاسِ فِيْمَا اخْتَلَفُوْا
فِيْهِ ؕ وَمَا اخْتَلَفَ فِيْهِ اِلَّا الَّذِيْنَ اُوْتُوْهُ مِنْۢ بَعْدِ مَا
جَآءَتْهُمُ الْبَيِّنٰتُ بَغْيًۢا بَيْنَهُمْ ۚ فَهَدَى اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا
لِمَا اخْتَلَفُوْا فِيْهِ مِنَ الْحَقِّ بِاِذْنِهٖ ؕ وَاللّٰهُ يَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ
اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿۲۱۳﴾ اَمْ حَسِبْتُمْ اَنْ تَدْخُلُوا الْجَنَّةَ وَ

---

كيا زه گوڏني آے دنياس منز حضرتِ آدم بيه تهند باڎ حضرت حوا يمن تمِ اولادزاے تمن آسِ حضرتِ آدم عليه السلام دينِ حقچ تعليم دِوان تمِ آسِ تمهِ تعليمه موجُب عمل كران، اكس مدتس تاں رُود يه سلسله يتهے پاڻهِ پكان تو پته پيو طبيعتن منز اختلاف تمهِ سيت پيو اغراضن اندر ته اختلاف تو پته پيو و كهنه كالاه گرِڎتهه عملن ته اعتقادن منز ته اختلاف فَبَعَثَ اللّٰهُ النَّبِيّٖنَ مُبَشِّرِيْنَ وَمُنْذِرِيْنَ سو اختلاف دُور كرنه خيطره سُوز الله تعالىٰ ان تمن كُن پيغمبر بشارت دِوه ونِ پزِ كتهه مانه وِنين بيم كره ون پزِ سِ اِنكار كره وِنِ وَاَنْزَلَ مَعَهُمُ الْكِتٰبَ بِالْحَقِّ بيه سوزه تمِ تمن سيت پننه كتابه يمن منز پوٗز اُوس لِيَحْكُمَ بَيْنَ النَّاسِ فِيْمَا اخْتَلَفُوْا فِيْهِ يُتهه سو تمن كتابن ته پيغمبرن هندِ ذريعه فيصله كرهِ تمن معاملن هند يمن منز يمن لوكن اختلاف اوس وَمَا اخْتَلَفَ فِيْهِ اِلَّا الَّذِيْنَ اُوْتُوْهُ اختلاف پوونه تهه اندر مگر تموى يمن سو كتاب دنه آس آمژ مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَتْهُمُ الْبَيِّنٰتُ نن ته واضِح احكام تمن نشهِ واتنه پته بَغْيًۢا بَيْنَهُمْ پانه وان اكه اكس پيڻهه سر كشي كرنكه سببه فَهَدَى اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا پس كور هدايت الله تعالىٰ ان باايمانن لِمَا اخْتَلَفُوْا فِيْهِ مِنَ الْحَقِّ بِاِذْنِهٖ تهه پزه كتهِ كن يتهه منز تمن اختلاف اوس پننه حكمته سيت وَاللّٰهُ يَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ الله تعالىٰ چهو وَتهاوان يمن يژهان چهو سيزه وَته كُن۔ اَمْ حَسِبْتُمْ اَنْ تَدْخُلُوا الْجَنَّةَ وَ لَمَّا يَاْتِكُمْ مَّثَلُ الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلِكُمْ اى مسلمانو كياه توهه چهوه گمانه تهه كيا اژو جنتس

لَمَّا يَاْتِكُمْ مَّثَلُ الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلِكُمْ ؕ مَسَّتْهُمُ الْبَاْسَآءُ وَالضَّرَّآءُ وَزُلْزِلُوْا حَتّٰى يَقُوْلَ الرَّسُوْلُ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ مَتٰى نَصْرُ اللّٰهِ ؕ اَلَآ اِنَّ نَصْرَ اللّٰهِ قَرِيْبٌ ﴿٢١٤﴾ يَسْـَٔلُوْنَكَ مَاذَا يُنْفِقُوْنَ ؕ قُلْ مَآ اَنْفَقْتُمْ مِّنْ خَيْرٍ فَلِلْوَالِدَيْنِ وَالْاَقْرَبِيْنَ وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنِ وَابْنِ السَّبِيْلِ ؕ وَمَا تَفْعَلُوْا مِنْ خَيْرٍ فَاِنَّ اللّٰهَ بِهٖ عَلِيْمٌ ﴿٢١٥﴾

---

محنتہ وراى۔ حالانکہِ ونہ واتِ نہ توہہ تتھہ تکلیف یتھہ تکلیف برونٹھین مسلمانن واتمتِ چھہِ مَسَّتْهُمُ الْبَاْسَآءُ وَالضَّرَّآءُ رٹِ تنگی تہ نفقرن بیماریو تہ سختی۔ وَزُلْزِلُوْا بلایو تہ مصیبتو سیت آی تمِ دلونہ تہ الراونہ حَتّٰى يَقُوْلَ الرَّسُوْلُ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ یلہِ پیٹھہ واژ نوبت کہ تمہِ وقتک پیغمبر تہ بیہِ تِم تمن سیت با ایمان آسِ ساری لگِ وننہِ مَتٰى نَصْرُ اللّٰهِ کرِ سناوا تہ مددِ خدا تمیک اسیہِ وعدہ چھوٗ آمت کرنہ اَلَآ اِنَّ نَصْرَ اللّٰهِ قَرِيْبٌ جواب آکھ دنہ خبردار روزویاری تہ مدد خدا چھوٗ نزدیک واتہ ؤن يَسْـَٔلُوْنَكَ مَاذَا يُنْفِقُوْنَ پرژھان چھہِ توہہ یارسُول اللہ باایمان خرچ کیاہ کرو کو تاہ کرو۔ کس پیٹھہ کرو قُلْ مَآ اَنْفَقْتُمْ مِّنْ خَيْرٍ فرماویوکھ یہ کینژھاہ تِہہ خرچ کرِو مالہ اندرہ کم یا زیادہ فَلِلْوَالِدَيْنِ پس گژھہِ گوڈہ دِین مالسِ ماجہ یلہِ تِم محتاج آسن وَالْاَقْرَبِيْنَ وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنِ وَابْنِ السَّبِيْلِ بیہِ آشناون بیہ یتیمن تمن نہ مول آسہِ بیہ مسکینن بیہ مسافرن وَمَا تَفْعَلُوْا مِنْ خَيْرٍ فَاِنَّ اللّٰهَ بِهٖ عَلِيْمٌ تو پتہ یُوسہ نیکیاہ کرِو تہ پس بیشک اللہ تعالیٰ اَس چھہ تِمچ پورہ خبر كُتِبَ عَلَيْكُمُ الْقِتَالُ وَهُوَ كُرْهٌ لَّكُمْ اے مسلمانو فرض آو کرنہ توہہ پیٹھہ جہاد ہمیشہ خیطرہ۔ اگرچہ سُو چھوٗ توہہِ ناپسندی مگر توہہِ چھُنہ چیزن ہنزن حقیقتن پیٹھہ نظر وَعَسٰٓى اَنْ تَكْرَهُوْا شَيْـًٔا وَّهُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ بساوقات بنہِ توہہِ یُس چیز ناپسند آسہِ سُو آسہ تہندہِ خیطرہ رُت تہ بہتر وَعَسٰٓى اَنْ تُحِبُّوْا شَيْـًٔا وَّهُوَ شَرٌّ لَّكُمْ کُنہِ وقتہ بنہِ توہہِ آسہ کانہہ چیز پسند مگر سُو آسہِ تُہندہِ خیطرہ یتھہ، خراب تہ مضر

كُتِبَ عَلَيْكُمُ الْقِتَالُ وَهُوَ كُرْهٌ لَّكُمْ ۚ وَعَسَىٰ أَنْ تَكْرَهُوا شَيْئًا وَهُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ ۖ وَعَسَىٰ أَنْ تُحِبُّوا شَيْئًا وَهُوَ شَرٌّ لَّكُمْ ۗ وَاللَّهُ يَعْلَمُ وَأَنْتُمْ لَا تَعْلَمُونَ ﴿٢١٦﴾ يَسْأَلُونَكَ عَنِ الشَّهْرِ الْحَرَامِ قِتَالٍ فِيهِ ۖ قُلْ قِتَالٌ فِيهِ كَبِيرٌ ۖ وَصَدٌّ عَنْ سَبِيلِ اللَّهِ وَكُفْرٌ بِهِ وَالْمَسْجِدِ الْحَرَامِ وَإِخْرَاجُ أَهْلِهِ مِنْهُ أَكْبَرُ عِنْدَ

---

وَاللَّهُ يَعْلَمُ وَأَنْتُمْ لَا تَعْلَمُونَ  اللہ تعالیٰ ای چھُ سورُوی زانان تہٕ چھِوہ نہ زانان۔ جہاد کرنس اندر اگرچہِ توہہِ آستن ناپسندی، چھُ پریتھہ حالس اندر فائیدے فائدہ۔ کامیابی۔ مال غنیمت یا شہادت تہٕ بڈمزور۔ جہاد نہ کرنس اندا اگرچہِ توہہ آستن پسندی چھِہ بجہ خرابیہ اکھہ ذلت تہٕ فقربیہِ ثوابہ نِشہِ محرومی۔ جہادس اندر چھہ کلمہ اسلامچ بلندی۔ مسلمانن ہند عزت تہٕ سطوت۔ لہٰذا آسوِ خدایہِ سندِس حُکمسِ تعمیل کرنس اندر جلدی کران۔ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سوز اکھہ لوکٹ لشکراہ جہاد کرنہ خیطرہ۔ تمیُک امیر لشکر کورُکھ حضرتِ عبداللہ بن جحش پنُن پوپھتر برادر تموکور مشرکن سیت جہاد یتھہ منز مور تمو عمر بنِ عبداللہ حضرمی اکھہ کافراہ۔ ماہِ جمادی الثانی کہ پتمہ دوہہ یتھہ منز احتمال اوس ماہ۔ رجبکہ غرہ آسنک۔ اَتھہ پیٹھہ کور کافرِ واعتراض کہِ مسلمان چھہِ تعظیم کین رِتین منز تہِ جہاد جاری تھوان۔ مسلمانن سُپد تردد پیدہ تمو پرژھہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم یہِ مسئلہ۔ اُتی سپُد یہِ آئیہ کریمہ نازِل يَسْأَلُونَكَ عَنِ الشَّهْرِ الْحَرَامِ قِتَالٍ فِيهِ پرژھان چھہِ توہہِ باایمان تعظیم کس رتییں اندر جنگ کرنس متعلق قُلْ قِتَالٌ فِيهِ كَبِيرٌ تُہہ فرماویوکھہ واقعی تعظیم کس رتییں اندر جنگ کرُن چھُ بوڈ گوناہ یلہ قصد اَزانتھہ کرِت واقع سپدہ وَصَدٌّ عَنْ سَبِيلِ اللَّهِ وَكُفْرٌ بِهِ وَالْمَسْجِدِ الْحَرَامِ وَإِخْرَاجُ أَهْلِهِ مِنْهُ أَكْبَرُ عِنْدَ اللَّهِ مگر لوکھہ خدایہِ سنزِ وتہ نِشہِ یعنے دین اسلامہ نِشہِ پتھہ رٹنِ۔ خدایہِ سندِس کُن آسنس انکار کرُن مسجد حرامس منز کُفر تہٕ شرک جاری تھاوُن تہِ پوتلِ تھاوِت تمِن ہنز پرستش کرن بیہ تتکِ لوکھہ جلا، وطن کرنِ تمہِ شہرہ منزہ کڈنِ یہِ چھُ زیادہ

اللّٰہِ ۚ وَالْفِتْنَۃُ اَکْبَرُ مِنَ الْقَتْلِ ؕ وَلَا یَزَالُوْنَ یُقَاتِلُوْنَکُمْ
حَتّٰی یَرُدُّوْکُمْ عَنْ دِیْنِکُمْ اِنِ اسْتَطَاعُوْا ؕ وَمَنْ یَّرْتَدِدْ
مِنْکُمْ عَنْ دِیْنِہٖ فَیَمُتْ وَھُوَ کَافِرٌ فَاُولٰٓئِکَ حَبِطَتْ
اَعْمَالُھُمْ فِی الدُّنْیَا وَالْاٰخِرَۃِ ۚ وَاُولٰٓئِکَ اَصْحٰبُ النَّارِ ۚ
ھُمْ فِیْھَا خٰلِدُوْنَ ﴿۲۱۷﴾ اِنَّ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَالَّذِیْنَ ھَاجَرُوْا
وَجٰھَدُوْا فِیْ سَبِیْلِ اللّٰہِ ۙ اُولٰٓئِکَ یَرْجُوْنَ رَحْمَتَ اللّٰہِ ؕ

---

بوڈ گناہ خدایس نِشہِ وَالْفِتْنَۃُ اَکْبَرُ مِنَ الْقَتْلِ زیادہ بوڈ گوناہ گو دین حقس اندر باایمانن ہندین دلن اندر شبہٕ تراوتھ تمِ لمہِ دینہ نِشہِ پھرن۔ بیہ تمن پیٹھ ظلم و تشدد کرُن۔ بیہ کنُس خدایس شریک ٹھہراوُن۔ یہ چھُو زیادہ مشُکل کانہہ شخص مارنہ خوتہ تعظیم کین رتین اندر وَلَا یَزَالُوْنَ یُقَاتِلُوْنَکُمْ حَتّٰی یَرُدُّوْکُمْ عَنْ دِیْنِکُمْ اِنِ اسْتَطَاعُوْا بیہِ چھُوامہِ خوتہ مشُکل کہ تمِ مشُرک چھہِ ہمیشہ توہہِ سیت جنگ کرنُک ارادہ تھاوان پننہ گمانہ۔ توتانِ یوتانِ توہہِ واپس پھرِ ہ نوہ دین اسلامہ نِشہِ یُس دین توہہِ اختیار کورمُت چھُوہ۔ کُفرس کُن، ہرگاہ یمن پلہِ ہا۔ ڈُن یلہ یہندِ ارادہ امہ قسمکِ چھہ لہذا چھُو توہہِ لازم سارنی رتین اندر یمن سیت جہادہ خیطرہ تیار روزن۔ تعظیمک ریتھہ آسنک نہ کانہہ پرواہ کرُن۔ لتہِ گرشھہ وارہ تھُند خیال کرُن کہ۔ وَمَنْ یَّرْتَدِدْ مِنْکُمْ عَنْ دِیْنِہٖ یُس اکھاہ توہہِ اندرہ کافرن ہنزِ ہ کوششہِ سیت امہ پننہِ دینہ، دین اسلامہ نِشہِ پھیرِ ہ تمہِ منزہ نیرِ ہ یعنی مرُتدسپدِ ہ العیاذُ باللہ فَیَمُتْ وَھُوَ کَافِرٌ توپتہ مرہ کُفرسی پیٹھ فَاُولٰٓئِکَ حَبِطَتْ اَعْمَالُھُمْ فِی الدُّنْیَا وَالْاٰخِرَۃِ پس تمِ لُوکھ تمِ چھہِ تہنزہ سارے عملہ گرشھن ضائع دنیاو آخرتس اندر وَاُولٰٓئِکَ اَصْحٰبُ النَّارِ ھُمْ فِیْھَا خٰلِدُوْنَ تیمِ آسن نارس منزواتن والیو اندر ریتھہ نارس اندر تمِ ہمیشہ روزن دزان ہاں ہرگاہ کانہہ مرُتدسپدِ تھہ دوبارہ مسلمان سپدِ ہ تُسند اسلام چھُو قبول۔ تسنز رژہ عملہ تہِ دین دوبارہ اسلام انتھہ قبول کرنہ اِنَّ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَالَّذِیْنَ ھَاجَرُوْا وَجٰھَدُوْا فِیْ سَبِیْلِ اللّٰہِ بیشک یمو لوکو

# وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿٢١٨﴾ يَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْخَمْرِ وَالْمَيْسِرِ ؕ

ایمان بخد اوُن بیہ تِمو ہجرت کریہٕ تِمو جہاد خدایہ سنزہ وتہ اندر کرُ اُولٰٓئِكَ يَرْجُوْنَ رَحْمَتَ اللّٰهِ تم لوٗکھ چھہِ امیدوار پروردگارہ سندِس رحمس وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ اللہ تعالیٰ تہٕ چھُو تہندہِ حقہ مغفرت کرہ ڈن رحم کرہ ڈن۔ یمو صحابہ صیبو اَتھہ مذکورہ جہادَس اندر شمولیت کرمژ آس تمن اوس ترَدَد کہ خبر چھااسہ ما آسہِ گناہ کھوتمت تغظیمہ کس رتیس اندر جہاد کرنہ سیت۔ سُو ترُدُد کوٗرُکھہ اللہ تعالیٰ اَن یمہِ آیہ کریمہ سیت دُور يَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْخَمْرِ وَالْمَيْسِرِ پرژھان چھہِ توہہ یا رسول اللہ باایمان شرابس تہٕ زارس متعلق قُلْ فِيْهِمَآ اِثْمٌ كَبِيْرٌ وَّمَنَافِعُ لِلنَّاسِ تُہہ فرماوِیُکھہ یمن منز چھُو بوڈ گناہ اگرچہِ نفع تہٕ چھُو کینہہ یمن منز لوکن ہندہِ خیطرہ وَاِثْمُهُمَآ اَكْبَرُ مِنْ نَّفْعِهِمَا مگر گناہ تِمنِ ہندوی چھُو زیادہ یمن ہندہِ نفعہ خوتہٕ۔ یہ چھُو گوڈنیکُ آیہ کریمہ

یُس شرابس تہٕ زارس متعلق ناِزل کرنہ آوَ۔ یتھہ منز بیان کرنہ آوٗ کہ تِمو دوِیو چیز ویٚنے شرابہ تہٕ زارہ سیت چھُو شخص واریہن گونہن منز گرفتار سپدان۔ کیازہ شراب چینہ سیت چھَنہ عقل ڈنجہ روزان۔ یُوسہ عقل انسان گنہہ کرنہ نشہ پتھہ رٹان چھَہ۔ یلہِ عقلہِ اندر فتور یوان چھُو، انسان چھُو گنہن تہٕ نافرمانین منز درووَ دوان۔ عقل چھَہ ونان تتھہ رزِہ یمہ سیت چارِ وای سنزن زنگن گنڈ (ڈنگ) چھو کرنہ یِوان ادہ چھونہ سُو مالکِس نِشہ ژلتھہ ہیکان۔ یتھہ ڈنگ ونان چھہِ۔ یتھے پاٹھہ چھَہ عقل انسانس گنہو تہٕ نافرمانیو نِشہِ پتھہ رٹان۔ زارہ سیت چھُو مال وِدولتک حرص تہٕ طمع پیدہ سپدان یمہِ حرصہ تہٕ طمعہ مُوکھہ چھُو شخص تھپہ دوان تہٕ ژورہ کران۔ لوکن ہندس حقس پیٹھہ ناجائز طریقہ پاٹھہ قبضہ کران۔ امی طریقہ چھُو سُو واریہن گنہن گرفتار سپدان۔ یمن دون چیزن شرابک تہٕ زارک نفع تہٕ فایدہ چُھو عارضی لذتاہ حاصل سپدن کم کینہہ وقتس تان۔ بیہ مال حاصلِ سپدن زار گندت۔ سُو تہٕ چھو عارضی پاٹھی آسان۔ کیازِہ سُو چھُو بے برکت جلدی ختم گژھان۔ لہذا چھُو نہ یمن دوشون چیزن ہند نفع تہٕ فائدہ یمن ہندس نقصانس تہٕ ضررس مقابل کہنی۔ لہذا یوت یمن منز نقصان چھُو تیوت چھونہ نفع تہٕ فایدہ۔ نفع تِمن دون چیزن ہُند چھو عارضی تہٕ وقتی۔ ذاتی تہٕ انفرادی۔ مگر ضرر یمن دون ہُند چھُو دائمی متعدی تہٕ عام۔ بعضے صحابہ صیبو ترووٗ شراب چون تہٕ زار گنڈن فوراً امی آیہ کریمہ کہ نازِل سپدنہ سیت۔ مگر بعضی رُودِ امہِ کیو مضر تو نِشہِ بچنہ خاطرہ احتیاطی

# قُلۡ فِيۡهِمَآ اِثۡمٌ كَبِيۡرٌ وَّمَنَافِعُ لِلنَّاسِ وَاِثۡمُهُمَآ اَكۡبَرُ

تدابیر اختیار کرِت بدستور استعمال کران۔ پتہ یلہِ سپُد بیاکھ آیتہ کریم یُس سُورہَ مایدس منز چھُ
نازِل۔ یکدم رُود ساری صحابہ صیب شراب چینہ نِشہِ تہ زار گندنہ نِشہِ پتھ۔ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان
يَٰٓأَيُّهَا الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡٓا اِنَّمَا الۡخَمۡرُ وَالۡمَيۡسِرُ وَالۡاَنۡصَابُ وَالۡاَزۡلَامُ رِجۡسٌ مِّنۡ عَمَلِ الشَّيۡطٰنِ فَاجۡتَنِبُوۡهُ ای
بایمانو شراب چون، زارگندُن، پوتلین پرستش کرنِ تہ تیرو سیت ماز تقسیم کرن یم ژوشوِے چیز
چھ مردار نجس تہ ناپاک۔ یمو چیز و نِشہِ روزو پتھ اِنَّمَا يُرِيۡدُ الشَّيۡطٰنُ اَنۡ يُّوۡقِعَ بَيۡنَكُمُ الۡعَدَاوَةَ وَالۡبَغۡضَآءَ
فِى الۡخَمۡرِ وَالۡمَيۡسِرِ وَيَصُدَّكُمۡ عَنۡ ذِكۡرِ اللّٰهِ وَعَنِ الصَّلٰوةِ فَهَلۡ اَنۡتُمۡ مُّنۡتَهُوۡنَ شیطانہ چھُونہ یژھان مگر
توہہِ منز عداوت تہ دشمنی تراونِ۔ شراب چنیہ سیت تہ زار گند ناونہ سیت۔ بیہ چھُو شیطانہ سند
غرض یمو دویو چیزو سیت تُہہ پتھ رٹنِ خدایہ سندہ یادہ نِشہِ۔ خصوصاً نماز پرنہ نِشہِ۔ کیازہ شراب
چیتھ چھُو شخص بیہوش تہ مست سپدان۔ اتھ حالس منز کتھہ پاٹھہِ ہیکہ خدایہ سند یاد کرِت۔ یا نماز
پرِت۔ زارگندِ تھ چھُو زینہ وِن شخص خوش سپدان۔ اتھ خوشی منز چھونہ تس خداژ تیس پیوان۔
یس شخص ہاران چھُو سُو چھُو غمگین تہ آزردہ سپدان۔ تمہِ علاوہ چھُو سُو اتھ فکرہ آسان کہ بئیس
بازس منز کتھہ پاٹھہِ زینہ بو۔ امہ فکرہ سببہ چھنہ تس خدایہ سنز یاد کرنس گُن یا نماز پرنس گُن اتھ وتھے
یِوان۔ شیطانہ سنز چھ کام بنان۔ اصل مقصود اوس یتھ آیہ کرِ تمس منز شراب تہ زار حرام آسُن
بیان کرُن۔ مگر سیت آی بیان کرنہ بیہ زہ چیز۔ ازلام تہ انصاب۔ ازلام چھُو زارہ کیوی قسمو اندرہ
اکھ قسم۔ یتھ پاٹھہ کہ پانژھہ شہ زنِ آسِ سمت چندہ کرِت مول ہیوان وو نٹھاہ یا کانہہ جانور راہ تو پتہ
آس تس کھش کران تہ ماران تو پتہ آسنہ رقمہ موجب تسندس مازس تقسیم کران، یمِ یُوت رقم
کوڈمُت آسہا تس دہن تیوت حصہ نہ بلکہ آس کھِنہ تیر اتان یمن تیرن علامات تہ نشانہ آسِ آسان
تھاونہ آمتِ تمہِ تیر آسِ اکِس تھیلس منز تراوان تو پتہ تھیلہ منزہ اکھ تیراہ کڈان۔ تمی موجب
اکس زنس مازدوان امہ سیت اوس اکِس کم تہ اکِس زیادہ حصہِ واتان۔ انصاب گیہ بُت پرستی۔ امہ
اندرہ چھُو مطلب شراب چینچ تہ زار گند نچ پوٗر مذمت کرنِ۔ یا فرماوکھ شراب چون تہ زارگندُن
چھُو اَتھہ سزاوار کہ یم گژھن بت پرستی سیت ذکر کرنہ ین کیازہ یمِ زہ چیز چھ خدایہ سندہ یادہ نِشہِ
خصوصاً نمازہ نِشہِ (یوسہ نماز اسلامہ کیو تہ ایمانہ کیو شعائیرو تہ نِشانو اندرہ بوڈ نشانہ چھُو) پتھ رٹان
یلہ امہ موجب ایمانہ نِش شخص دورِ پیودو یمہ طرفہ چھُو امس کُفرس تہ بُت پرستی سیت واٹھ

مِنْ نَّفْعِهِمَا ؕ وَيَسْـَٔلُوْنَكَ مَاذَا يُنْفِقُوْنَ ؕ قُلِ الْعَفْوَ ؕ
كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ الْاٰيٰتِ لَعَلَّكُمْ تَتَفَكَّرُوْنَ ﴿۲۱۹﴾
فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ؕ وَيَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْيَتٰمٰى ؕ قُلْ اِصْلَاحٌ
لَّهُمْ خَيْرٌ ؕ وَاِنْ تُخَالِطُوْهُمْ فَاِخْوَانُكُمْ ؕ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ الْمُفْسِدَ
مِنَ الْمُصْلِحِ ؕ وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ لَاَعْنَتَكُمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿۲۲۰﴾

---

لگان۔ امی مناسبتہ آو شراب چینس، زار گندنس تہ بُت پرستی منع کرنہ۔ وارہ گرٔھہِ عقلہ والین ہُند غور کرُن کِہ کو تاہ تچھہ چھوٗ شراب چون تہ زارگِندن۔ اسلامس اندر چھوٗ شرابکُ ناوٗ اُم الخبائث بیہ رأس الاثام یعنے سارنی تچھہ کامین ہنز موج تہ سارنی گُنہن ہُند منع تہ اصل چھوٗ شراب چون **وَيَسْـَٔلُوْنَكَ مَاذَا يُنْفِقُوْنَ** بیہ چھِہ تِم پرٛژھان توہہ کیاکرُن خرچ کو تاہ کرن خرچ **قُلِ الْعَفْوَ** تُہہ فرماویوکھ یہ پنہ نیوتہ پننہِ عیالہ کیو ذاتی اخراجا تونشہِ بچان آسوہ **كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ الْاٰيٰتِ لَعَلَّكُمْ تَتَفَكَّرُوْنَ * فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ** کیاہ چھوٗ اللہ تعالیٰ واضح کران تہ ننہِ راوان تہندہ خیطرہ پننِ احکام یُتھ تُہہ وارہ فِکر کران آسِو دنیاو آخرتہ کین معاملاتن اندر **وَيَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْيَتٰمٰى** بیہِ چھوٗ تِم پرٛژھان توہہِ یتیمن متعلق **قُلْ اِصْلَاحٌ لَّهُمْ خَيْرٌ** تہہ فرماویُوکھ پریتھہ کاماہ تہنز سنبھالن تہ درست کرنِ چھہ بہتر **وَاِنْ تُخَالِطُوْهُمْ فَاِخْوَانُكُمْ** ہرگاہ تُہہ تِم پانس سیت کھینس چینس اندر، تجارتس اندر ملہِ ناویوکھ کانہہ حرج چھُونہ۔ پننِ چھوہ باےِ **وَاللّٰهُ يَعْلَمُ الْمُفْسِدَ مِنَ الْمُصْلِحِ** مگر اللہ تعالیٰ چھوٗ زانان توہہ اندرہ بدنیت کُس چھوٗ۔ نیک نیت تہ کوم سنبھالہ ڈن کُس چھوٗ۔ **وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ لَاَعْنَتَكُمْ** ہرگاہ اللہ تعالیٰ یژھہِ ہا سخت تہ دشوار احکام نازِل کرِت کرہ ہیوہ مشقتس گرفتار مگر تم یوژھہ نہ تہِ **اِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ** پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھوٗ زبردست حکمتہ وول۔ صحابہ صیبو اندرہ اکھہ صاحباہ یمن ناواوس مرثدِ بن ابی مرثد۔ تمن آس خواہش اکِس مُشرک زنانہ سیت نکاح کرنچ برونٹھ پیٹھے۔ تتھہ متعلق آیوو سُو صاحبِ اجازت ہینہ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم۔ اللہ تعالیٰ ان کور نازِل یہِ آیہ کریمہ

وَلَا تَنْكِحُوا الْمُشْرِكٰتِ حَتّٰى يُؤْمِنَّ ؕ وَلَاَمَةٌ مُّؤْمِنَةٌ خَيْرٌ مِّنْ مُّشْرِكَةٍ وَّلَوْ اَعْجَبَتْكُمْ ۚ وَلَا تُنْكِحُوا الْمُشْرِكِيْنَ حَتّٰى يُؤْمِنُوْا ؕ وَلَعَبْدٌ مُّؤْمِنٌ خَيْرٌ مِّنْ مُّشْرِكٍ وَّلَوْ اَعْجَبَكُمْ ؕ اُولٰٓئِكَ يَدْعُوْنَ اِلَى النَّارِ ۖۚ وَاللّٰهُ يَدْعُوْٓا اِلَى الْجَنَّةِ وَالْمَغْفِرَةِ بِاِذْنِهٖ ۚ وَيُبَيِّنُ اٰيٰتِهٖ لِلنَّاسِ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ ﴿٢٢١﴾ وَيَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْمَحِيْضِ ؕ قُلْ هُوَ اَذًى ۙ فَاعْتَزِلُوا النِّسَآءَ فِى

وَلَا تَنْكِحُوا الْمُشْرِكٰتِ حَتّٰى يُؤْمِنَّ اے باایمانو نکاح مہ کرو مُشرک زنانن سیت یو تانِ نہ تمہ ایمان انن وَلَاَمَةٌ مُّؤْمِنَةٌ خَيْرٌ مِّنْ مُّشْرِكَةٍ وَّلَوْ اَعْجَبَتْكُمْ پرپاٹ مسلمان باایمان کنیزی چھہ بہتر مشرک آزاد زنانہ ہندہِ خوتہ اگرچہ سو آستن حسن وجمالکہ لحاظ توہہِ پسندی وَلَا تُنْكِحُوا الْمُشْرِكِيْنَ حَتّٰى يُؤْمِنُوْا مسلمان باایمان زنانن مہ کرو نکاح مُشرک مردن سیت یو تان نہ تمہِ تہ ایمان انن وَلَعَبْدٌ مُّؤْمِنٌ خَيْرٌ مِّنْ مُّشْرِكٍ وَّلَوْ اَعْجَبَكُمْ پرپاٹ باایمان غلامی چھو بہتر مشرک آزاد مردہ سِندہ خوتہ اگرچہ سُو آستن بیہ کُنہِ اعتبارہ پسندی اُولٰٓئِكَ يَدْعُوْنَ اِلَى النَّارِ کیازِہ یمِ مشرک چھہِ ناردوان نارس کُن وَاللّٰهُ يَدْعُوْٓا اِلَى الْجَنَّةِ وَالْمَغْفِرَةِ بِاِذْنِهٖ اللہ تعالیٰ چھونادِ دوان بواسطہ حضراتِ انبیاء علیہم السلام جنتس تہ مغفرتس کُن پننہِ حُکمہ سیت وَيُبَيِّنُ اٰيٰتِهٖ لِلنَّاسِ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ بیہ چھو اللہ تعالیٰ پننِ احکام ننراوت بیان کران لوکن۔ یُتھہِ تمہِ نصیحت حاصل کرن وَ يَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْمَحِيْضِ بیہ چھہِ پرژھان توہہ لُوکھ حیض متعلق۔ یلہِ زنانن سُو وقت یوان آسہِ یتھس حالتس منز چھا تمن نزدیک گژھُن جائز کنہ نہ قُلْ هُوَ اَذًى تہہ فرماویوکھ سُو چھہ ناپاکی فَاعْتَزِلُوا النِّسَآءَ فِى الْمَحِيْضِ پس آسوِ الگ روزان زنانن نِشہِ حیضہ کسِ حالتس اندر۔ وَلَا تَقْرَبُوْهُنَّ حَتّٰى يَطْهُرْنَ تمن نزدیک مہ آسوِ سپدان نفسیچ خواہش پورہ کرنہ خیطرہ تو تانِ یو تانِ نہ تمہ پاک آسن سپدان۔ بلکہ گژھنہ مردہ سُند حیضہ کین دوہن اندر تونہ پیٹھہ کوٹھہ آبچن تانِ، نہ اتھہ لاگُن نہ توکن نظر دِنِ۔

الْمَحِيْضِ وَلَا تَقْرَبُوْهُنَّ حَتّٰى يَطْهُرْنَ فَاِذَا تَطَهَّرْنَ فَاْتُوْهُنَّ
مِنْ حَيْثُ اَمَرَكُمُ اللّٰهُ اِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ التَّوَّابِيْنَ وَيُحِبُّ
الْمُتَطَهِّرِيْنَ ﴿۲۲۲﴾ نِسَآؤُكُمْ حَرْثٌ لَّكُمْ فَاْتُوْا حَرْثَكُمْ اَنّٰى شِئْتُمْ

ہرگاہ کانسہ شخصسن حیضہ کین دوہن اندری نزدیکی کرت نفسچ خواہش پورہ کرتس پزہ توبہ کرُن، استغفار پُرن کیازہ یہ سپُد سخت گنہس گرفتار۔ امہ علاوہ چھوامِس مردس جرمانہ تہٕ دِیُن سوگوکھنہ رقم گژھہِ خیرات کرُن فَاِذَا تَطَهَّرْنَ فَاْتُوْهُنَّ مِنْ حَيْثُ اَمَرَكُمُ اللّٰهُ یلہِ تمہٕ پاک آسَن سپدان۔ پَس آسو تمن نزدیک یِوان نفسچ خواہش پورہ کرنہ خیطرہ۔ مگر تمی جایہ کنِ یمہِ جایہ کن ینک تجویز اللہ تعالیٰ ان کورہ۔ سوگیہ سوی جای یمہ نشہ دُور روزنُک حکم کور نوہ حیضہ کین دوہن اندر۔ سوگیہ برونٹھمہِ طرفچ جاے۔ اَمہ جایہِ نشہ گژھہ نہ ڈلُن زاہ تہٕ بیس جایہ کُن تہٕ چھوٗ حرام تہٕ ناجایٔز ہمیشہ یتھہ پاٹھہ حیضکین دوہن اندر برونٹھمہ طرفچ جای استعمال کرنِ حرام تہٕ ناجائز چھوٗ۔ کیازہ یمن دوہن چھہ آسان سو جای ملوّث تہٕ ناپاک حیضک خون جاری آسنہ موکھہ۔ پتہٕ چھہ سو جای حیضک دوہ ختم گژھتھہ پاک سپدان۔ مگر بیاکھہ وتھہ پتمہ طرفچ یُوسہ چھہ سوچھہ ہمیشہ آسان ناپاکھے۔ مردن ہنز تہٕ زنانن ہنز تہٕ لہٰذا گژھہِ ہمیشہ تمہِ جایہِ نشہِ دوررُوزُن۔ بیہ چھو حیضکس حالتس اندر نفسچ خواہش پورہ کرنہ خیطرہ زنانہ نشہ گژھنس منز یہ خطرہ کہِ مردس چھوٗ سترچہ جایہِ تمہِ سیت ورم کھسان تہٕ نار گنڈان۔ زنانہ چھوبچہ دانہِ اندر تُیتھہ قصور پیدہ سپدان یمہِ سیت سہ ہانٹھ تہٕ بےاولاد چھہ سپدان اِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ التَّوَّابِيْنَ بیشک اللہ تعالیٰ اَس چھہِ ٹاٹھہِ توبہ کرہ ونِ بندہ وَيُحِبُّ الْمُتَطَهِّرِيْنَ بیہ چھس ٹاٹھہ صاف وپاک پاٹھہِ روزن والِ بندہ۔ یہُود آسِ ونان یلہ زنانہ نشہِ مردِ بیہ برونٹھمی جاے استعمال کرنہ خیطرہ مگر پُشتہ کہ طرفہ تیلہ چھواولادِ یعنے ٹُر دولہ اچھہِ کرِتھہ زیوان۔ اللہ تعالیٰ چھوٗ فرماوان یہود ن ہُند یہ خیال چھو بالکل غلط نِسَآؤُكُمْ حَرْثٌ لَّكُمْ فَاْتُوْا حَرْثَكُمْ اَنّٰى شِئْتُمْ زنانہ تہنز ہ چھہ زراعت تہُند۔ پس یِیوزراعتس پنہ نس یپار خوش کروہ مگر جای گژھہِ آسنِ سوی یتھہ منز بیول تراوتھہ کُل کھسہِ۔ ادہ سہ جای یتھہ پاٹھہ استعمال ہیکو کرتھہ تتھہ پاٹھہ۔ ذ ترن کرتو۔ پشتہ کن کرِتو۔ لرہِ روزتھہ کرِتو۔ بہتھہِ کرتو۔ ووتھہ ونہ کرتو تمیُک چھوہ توہہ اختیار۔ مگر جای گژھہِ آسنِ

وَقَدِّمُوْا لِاَنْفُسِكُمْ ؕ وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاعْلَمُوْۤا اَنَّكُمْ مُّلٰقُوْهُ ؕ وَ بَشِّرِ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۲۲۳﴾ وَلَا تَجْعَلُوا اللّٰهَ عُرْضَةً لِّاَيْمَانِكُمْ اَنْ تَبَرُّوْا وَتَتَّقُوْا وَتُصْلِحُوْا بَيْنَ النَّاسِ ؕ وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ﴿۲۲۴﴾ لَا يُؤَاخِذُكُمُ اللّٰهُ بِاللَّغْوِ فِيْۤ اَيْمَانِكُمْ وَلٰكِنْ يُّؤَاخِذُكُمْ بِمَا كَسَبَتْ قُلُوْبُكُمْ ؕ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ حَلِيْمٌ ﴿۲۲۵﴾ لِلَّذِيْنَ يُؤْلُوْنَ

---

سوی یوسہ امہ خیطرہ مخصوص چھہ سوگیئہ برونٹھمہ طرفچ جائے۔ وَقَدِّمُوْا لِاَنْفُسِكُمْ برونٹھہ کُن سوزِو پننہِ طرفہ کانہہ رژعملاہ۔ یعنی زنانن نِشہِ نزدیک سپدنہ اندرہ آسونیّت تھاوان اولاد حاصلِ کرنچ محض نہ نفسچ خواہش پورہ کرنہ خیطرہ۔ بلکہ آسوِ امیدوار روزان کہ دیوہ اللہ تعالیٰ ونہ کنہ کی وقتہ اسہِ اولاد عطا کرہِ۔ کیازہ اولاد صالحِ تہ چھہ رژ عمل۔ باقیات الصالحاتہ اندرہ اکھہ چیز وَاتَّقُوا اللّٰهَ بیہ کھوژو اللہ تعالیٰ اَس تہندین حُکمن مخالفت کرنہ نِشہِ وَاعْلَمُوْۤا اَنَّكُمْ مُّلٰقُوْهُ بیہِ تھاوو یقین بیشک چھوِ تہہ خدایس برونٹھ کُن واتہ ونِ تس سیت ملاقات کرہ وِن۔ سارنی عملن ہند حساب دنہ خیطرہ وَ بَشِّرِ الْمُؤْمِنِيْنَ بیہِ دِیوِ بشارت خدایس کھوژہ وِنین باایمانن جنتچ تہ دیدارچ وَلَا تَجْعَلُوا اللّٰهَ عُرْضَةً لِّاَيْمَانِكُمْ اے باایمانومہ کرو خدایہ سُند نام پاک ٹھور پننہ نین قسمن منز رژہ کامہِ کرنہ نِشہِ یعنی خدایہ سُند قسم مہ آسوِ ہاوان اَنْ تَبَرُّوْا وَتَتَّقُوْا وَتُصْلِحُوْا بَيْنَ النَّاسِ نیکیو نِشہِ پتھہ روزنہ خیطرہ۔ پرہیزگاری نہ کرنہ خیطرہ۔ لوکن منز صلح نہ کرنہ خیطرہ۔ مثلاً کانہہ یاوہ ہا قسم خدایہِ سُند قسم نمازنہ پرنس پیٹھہ۔ یا کانہہ رژ کام نہ کرنس پیٹھہ۔ حُکم چھُو تمسُند گژھہِ سُو قسم پھٹراون قسمچ کفارت دنِ۔ سہ رژ کام گژھہِ ضرور کرنِ وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو سورُے بوزہ ڈن۔ سورُے زانہ ڈن لَا يُؤَاخِذُكُمُ اللّٰهُ بِاللَّغْوِ فِيْۤ اَيْمَانِكُمْ اللہ تعالیٰ رٹہِ نہ توہہِ لغوتہ بیہودہ قسمن پیٹھہ وَلٰكِنْ يُّؤَاخِذُكُمْ بِمَا كَسَبَتْ قُلُوْبُكُمْ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ حَلِيْمٌ لیکن سُو رٹِوہ توہہِ تمن قسمن پیٹھہ یمن متعلق دلہ سیت اُپزونہ نک قصد کورمُت آسوِہ۔ اللہ تعالیٰ چھُو مغفرت کرہ ون تمن یم اپزہِ نِشہِ توبہ

مِنْ نِّسَآئِهِمْ تَرَبُّصُ اَرْبَعَةِ اَشْهُرٍ ۚ فَاِنْ فَآءُوْ فَاِنَّ اللّٰهَ
غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿۲۲۶﴾ وَاِنْ عَزَمُوا الطَّلَاقَ فَاِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ
عَلِيْمٌ ﴿۲۲۷﴾ وَالْمُطَلَّقٰتُ يَتَرَبَّصْنَ بِاَنْفُسِهِنَّ ثَلٰثَةَ قُرُوْٓءٍ ؕ وَلَا
يَحِلُّ لَهُنَّ اَنْ يَّكْتُمْنَ مَا خَلَقَ اللّٰهُ فِيْٓ اَرْحَامِهِنَّ اِنْ كُنَّ
يُؤْمِنَّ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ ؕ وَبُعُوْلَتُهُنَّ اَحَقُّ بِرَدِّهِنَّ فِيْ

---

کرن۔ اللہ تعالیٰ چھو تحمل تہ ژیڈ کرہ وُن لِلَّذِيْنَ يُؤْلُوْنَ مِنْ نِّسَآئِهِمْ تمن لوکن ہندِ خیطرٕ چھو حکم تِمِ قسم ہاوَن زنانن نزدیک گژھنس پیٹھ تَرَبُّصُ اَرْبَعَةِ اَشْهُرٍ پیارن گژھہِ تھند ژون ریتن فَاِنْ فَآءُوْ فَاِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ پس اگر یمن ژون ریتن اندر اندر تِمو مردو قسم پھژاوت زنانن نِشہِ نزدیکی کر پس اللہ تعالیٰ چھوٗ رحم کرہ وُن مغفرت کرہ وُن تھندِ حقہ۔ تِمن چھوٗ نہ کانہہ باز خواست وَاِنْ عَزَمُوا الطَّلَاقَ ہرگاہ تِمواِ اندرہ طلاقہ کٔرِ قصد کوراتھ مدتس اندر رجوع کورکھہ نہ زنانن نِشہِ نزدیک سپد نہ سیت فَاِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ پس چھو اللہ تعالیٰ سورُی بوزہ وُن تہ سوروی زانہ وُن۔ تلہِ گو یہوی طلاق ادہ پزِہ نہ مردس زنانہِ نزدیک گژھُن نوو نکاح کرنہ ورای۔ ایجاب و قبول تہ فاتحہ خیر نوو پرنہ ورای وَالْمُطَلَّقٰتُ يَتَرَبَّصْنَ بِاَنْفُسِهِنَّ ثَلٰثَةَ قُرُوْٓءٍ طلاق دِنہ آمژٕ زنانہ پیارہ ناون پنہ نین پانن یعنی نکاح مہ کرِن ترین عذرن یعنی حیضن تانِ وَلَا يَحِلُّ لَهُنَّ اَنْ يَّكْتُمْنَ مَا خَلَقَ اللّٰهُ فِيْٓ اَرْحَامِهِنَّ تِمن طلاقہ واجنین زنانن چھوٗ جائز کہ تِمہِ کیاہ کھٹن تتھہ یہ اللہ تعالیٰ ان آسہِ پادہ کورمُت تھندین رحمن بچہِ دانین اندر اولاد یا خون حیض کیازہ عِدتک حساب چھو تِمی موجب کرنہ یوان اِنْ كُنَّ يُؤْمِنَّ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ ہرگاہ تِمن پور پژھہ چھہ خدایہ سنز تہ کاملِ یقین چھوک پتمہ دوہک۔ پتم دوہ گو قیامتک دوہ وَبُعُوْلَتُهُنَّ اَحَقُّ بِرَدِّهِنَّ فِيْ ذٰلِكَ اِنْ اَرَادُوْٓا اِصْلَاحًا یمن مطلقہ زنانن ہندرین، خاوند چھہ زیادہ حقدار یمن کُن رجوع کرنس تہ یمن بیہ واپس پنہ نِس نکاحس منز تھونس منزِ اتھہ انتظار کسِ مُدتس اندر نو نِکاح کرنہ ورای۔ ہرگاہ تم

ذٰلِكَ اِنْ اَرَادُوْٓا اِصْلَاحًا ؕ وَلَهُنَّ مِثْلُ الَّذِىْ عَلَيْهِنَّ بِالْمَعْرُوْفِ ۪ وَلِلرِّجَالِ عَلَيْهِنَّ دَرَجَةٌ ؕ وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿۲۲۸﴾ اَلطَّلَاقُ مَرَّتٰنِ ۪ فَاِمْسَاكٌۢ بِمَعْرُوْفٍ اَوْ تَسْرِيْحٌۢ بِاِحْسَانٍ ؕ وَلَا يَحِلُّ لَكُمْ اَنْ تَاْخُذُوْا مِمَّآ اٰتَيْتُمُوْهُنَّ شَيْـًٔا اِلَّآ اَنْ يَّخَافَآ اَلَّا يُقِيْمَا حُدُوْدَ اللّٰهِ ؕ

---

تتھ اندر نیک نیتی ہُند ارادہ تھاوان آسن۔ یہِ حُکم اِصلاح آو بیان کرنہ۔ یمہِ خیطرٕ کہ وَلَهُنَّ مِثْلُ الَّذِىْ عَلَيْهِنَّ بِالْمَعْرُوْفِ زنانن ہندِ تہِ چھِ تتھی حق مردن پیٹھ، یتھ مردن ہندِ چھِ زنانن پیٹھ یعنے واجب آسنس منز چھ برابر۔ مردہ سُند حق چھُو زنانہِ پیٹھ فرمانبرداری کرنِ۔ مردہ سُند عزت رچھُن۔ تمسند س چیزس تہ مال و متاعس راچھِہ تہ حفاظت کرن۔ بیہ پنہ نس پانس راچھہِ کرن وو پر مردن سیت تعلق تھاونہ نشہ۔ تمن سیت کتھہ باتھہ کرنہ نشہِ۔ زنانن ہند حق چھُو مردن پیٹھ۔ تمن سیت رُت سلوک کرن۔ تہندِ اخراجات پورہ کرنِ۔ تمہِ دینک احکام ہیچھہ ناون وَلِلرِّجَالِ عَلَيْهِنَّ دَرَجَةٌ ؕ وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ بیہ چھِ مردن پنہ ینن خاندارنین پیٹھ فضیلت اللہ تعالیٰ چھُو عزتہ وول تہ حکمتہ وول۔ تمس چھُو اختیار یس فضیلت دیہ تہ تس اَلطَّلَاقُ مَرَّتٰنِ طلاق یتھ منز یہ رجعت کرن جائز چھ مردس سُو چھُو دون لٹن تانِ فَاِمْسَاكٌۢ بِمَعْرُوْفٍ اَوْ تَسْرِيْحٌۢ بِاِحْسَانٍ تمہِ پتہ چھونہ بیہ رجعت کرنک حق مردس یعنی دوِ یمہِ طلاق پتہ۔ بلکہ چھہ زی صورژ تمہِ پتہ یارٹنس پانس نش باقاعدہ یا تراوِنس یلہ تو تانِ یُو تانِ عدت ڈ برس پور حقوق ادا کرت۔ عدت ڈبرت ہر گاہ تو پتہ مرد یژھہِ بیہ امسِ زنانہ سیت نکاح کرُن۔ نو نکاح کرِت نو ایجاب و قبول کرت سپدہ سہ بیہ اَمسنز زنانہ۔ ہرگاہ ترٖیُم طلاق تہ دُتینس تلہ گئیہ یہ امسِ مردس نِشہ ترٖھہ جُدا تہ الگ۔ ادہ چھُونہ امسِ زنانہ امسِ مردس سیت بیہ نکاح کرُن تو تانِ جائز یو تان نہ سو زنانہ بیس مردس سیت گوڈہ نکاح کرہ۔ چنانچہِ اللہ تعالیٰ فرماوان برونٹھمس آیہ کرتمس منز یانے وَلَا يَحِلُّ لَكُمْ جائز چھُونہ توہہِ

فَإِنۡ خِفۡتُمۡ أَلَّا يُقِيمَا حُدُودَ ٱللَّهِ فَلَا جُنَاحَ عَلَيۡهِمَا فِيمَا ٱفۡتَدَتۡ بِهِۦۗ تِلۡكَ حُدُودُ ٱللَّهِ فَلَا تَعۡتَدُوهَاۚ وَمَن يَتَعَدَّ حُدُودَ ٱللَّهِ فَأُوْلَٰٓئِكَ هُمُ ٱلظَّٰلِمُونَ ﴿٢٢٩﴾

فَإِن طَلَّقَهَا فَلَا تَحِلُّ لَهُۥ مِنۢ بَعۡدُ حَتَّىٰ تَنكِحَ زَوۡجًا غَيۡرَهُۥۗ فَإِن طَلَّقَهَا فَلَا جُنَاحَ عَلَيۡهِمَآ أَن

---

اے مردو أَن تَأۡخُذُواْ مِمَّآ ءَاتَيۡتُمُوهُنَّ شَيۡـًٔا اینکہ واپس کیا ہیو تہٕ تمہ مالہ منزہ کہنہ یُس مال توہہ یمن زنانن دیو تمت آسوہ إِلَّآ أَن يَخَافَآ أَلَّا يُقِيمَا حُدُودَ ٱللَّهِ مگرے کھوژن یم باژزہ کہ قایم ہیکن نہ تھاوت یم پروردگارہ سندِ احکام تہٕ قانون یعنی تعلقاتِ باھمیں متعلق فَإِنۡ خِفۡتُمۡ أَلَّا يُقِيمَا حُدُودَ ٱللَّهِ ہرگاہ تہہ واقعی طور کھوژو۔ ای خدایہ سند احکام تہٕ قانون قایم تھاونہ کیوز مہ دارو کہ یم باژزہ ہیکن نہ قایم تھوتھ خدایہ سند احکام تہٕ قانون فَلَا جُنَاحَ عَلَيۡهِمَا پس چھونہ کانہہ حرج تہٕ گناہ تمن پیٹھ فِيمَا ٱفۡتَدَتۡ بِهِۦ یتھ اندرکہ زنانہ کیا دیہ طلاق بدل کیہنہ مال مردس۔ اتھ چھہِ ونان خُلع یعنی زنان ہیہ مردس طلاق کیہنہ مال دِت تِلۡكَ حُدُودُ ٱللَّهِ یم احکام چھہ پروردگارہ سندِ قانون فَلَا تَعۡتَدُوهَا پس مہ کرو یمن قانونن ہنز خلاف ورزی وَمَن يَتَعَدَّ حُدُودَ ٱللَّهِ فَأُوْلَٰٓئِكَ هُمُ ٱلظَّٰلِمُونَ یُس اکھاہ خلاف ورزی کرہ خدایہ سندین قانونن ہنز پس تِمے لوکھ چھہِ پنہ نس پانس ظلم کرہ ون۔ آخرتس منز گرفتارِ عذاب کرنہ سیت فَإِن طَلَّقَهَا پس ہرگاہ مردن امس زنانہ بیاکھ طلاق دُیت دویو طلاقو پتہ فَلَا تَحِلُّ لَهُۥ مِنۢ بَعۡدُ ادہ چھہنہ سوزنانہ حلال امسِ مردس پیٹھ۔ یعنی امسِ سیت نکاح کرُن چھونہ جائز حَتَّىٰ تَنكِحَ زَوۡجًا غَيۡرَهُۥ یوتانِ نہ سوزنانہ بیس شخص سیت نکاح کرہِ فَإِن طَلَّقَهَا پس اگر سُو دوئیم خاوند امسِ زنانہِ طلاق دِیہ۔ تو پتہ تہنز عدت تہٕ دوبریس فَلَا جُنَاحَ عَلَيۡهِمَآ أَن يَتَرَاجَعَآ پس چھونہ کانہہ گوناہ ہرگاہ یم گوڈنک باژزہ پانہ وان رجوع کرِتھ بیہِ نکاح کرن إِن ظَنَّآ أَن يُقِيمَا حُدُودَ ٱللَّهِ

يَّتَرَاجَعَاۤ اِنْ ظَنَّاۤ اَنْ يُّقِيْمَا حُدُوْدَ اللّٰهِؕ وَتِلْكَ
حُدُوْدُ اللّٰهِ يُبَيِّنُهَا لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ ﴿۲۳۰﴾ وَاِذَا طَلَّقْتُمُ
النِّسَآءَ فَبَلَغْنَ اَجَلَهُنَّ فَاَمْسِكُوْهُنَّ بِمَعْرُوْفٍ
اَوْ سَرِّحُوْهُنَّ بِمَعْرُوْفٍ ۪ وَلَا تُمْسِكُوْهُنَّ ضِرَارًا
لِّتَعْتَدُوْا ۚ وَمَنْ يَّفْعَلْ ذٰلِكَ فَقَدْ ظَلَمَ نَفْسَهٗ ؕ
وَلَا تَتَّخِذُوْۤا اٰيٰتِ اللّٰهِ هُزُوًا ۫ وَّاذْكُرُوْا نِعْمَتَ اللّٰهِ

---

ہر گاہ یمن یقین آسہِ اسِ کیاہ تھاوَ خدایہ سند احکام تہٕ قانون یعنی حقوق زوجیت قایم وَتِلْكَ
حُدُوْدُ اللّٰهِ يُبَيِّنُهَا لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ تم چھہِ پروردگارہ سندِ احکام تہٕ قانون تَمِ چھُو سُو وۆژھناوان
زانن والین ہندہِ خیطرہ وَاِذَا طَلَّقْتُمُ النِّسَآءَ ای مردویلہِ تُہہ طلاق دِتوہ پنہٕ نین زنانن طلاقِ رجعی
یعنی سُو طلاق یتھہ منز مردس چھُو اجازت نوو نکاح کرنہٕ ورای رجوع کرُن فَبَلَغْنَ اَجَلَهُنَّ تو
پتہٕ واتن تمہِ زنانہ عِد تکُ مدُّت وبرنس قریب فَاَمْسِكُوْهُنَّ بِمَعْرُوْفٍ پس چھُو اختیار توہہِ
عِدت گژھنہ برونٹھہ رجعت کرِتھہ ریٹوکھہ تمہِ پانس نِشہِ پنہٕ نِس نکاحس تل با قاعدہ تہٕ رتہِ طریقہ
اَوْ سَرِّحُوْهُنَّ بِمَعْرُوْفٍ یا تراوِیوٗکھہ یلہ رتہِ طریقہ یوتانِ عِد تکُ دوہ تمن پورہ پاٹھہِ گزرَن
وَلَا تُمْسِكُوْهُنَّ ضِرَارًا لِّتَعْتَدُوْا مہٕ آسیُوکھہ تمہِ بند کران تمن تکلیف واتناونہ خیطرہ تمن پیٹھہ
ظلم کرنہ خیطرہ عِد تک مدُّت زیٹھراونہ سیت وَمَنْ يَّفْعَلْ ذٰلِكَ پس یُس شخص اَمہ قسمُچ کوم
کرہ یعنی ناحق کانسہِ ظلم کرہ۔ فَقَدْ ظَلَمَ نَفْسَهٗ تمو کورپانِ پانس ظلم کیازِہ آخرتس منز کھیہ
سُو ظلم کرُنک سزا وَلَا تَتَّخِذُوْۤا اٰيٰتِ اللّٰهِ هُزُوًا خدایہِ سندِ آیات تہٕ احکام مہٕ آسِو زانان ٹھٹھہ
باشِیاہ وَّاذْكُرُوْا نِعْمَتَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ بیہ پاوِوژ تیں خدایہ سنزہ تمہِ نعمژ یمہِ توہہ عطا
کرِ نوہ وَمَاۤ اَنْزَلَ عَلَيْكُمْ مِّنَ الْكِتٰبِ وَالْحِكْمَةِ يَعِظُكُمْ بِهٖ خصوصاً کرِوَیادیہِ بڈ نعمت کہٕ نازل
کرن توہہ پیٹھہ یہ بڈ کتاب یعنی قرآن مجید بیہِ حکمتچ کتھہ یمہ سیت اللّٰہ تعالیٰ چھُوہ توہہِ وعظ و نصیحت

عَلَيْكُمْ وَمَآ اَنْزَلَ عَلَيْكُمْ مِّنَ الْكِتٰبِ وَالْحِكْمَةِ يَعِظُكُمْ بِهٖ ؕ وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ﴿٢٣١﴾ وَاِذَا طَلَّقْتُمُ النِّسَآءَ فَبَلَغْنَ اَجَلَهُنَّ فَلَا تَعْضُلُوْهُنَّ اَنْ يَّنْكِحْنَ اَزْوَاجَهُنَّ اِذَا تَرَاضَوْا بَيْنَهُمْ بِالْمَعْرُوْفِ ؕ ذٰلِكَ يُوْعَظُ بِهٖ مَنْ كَانَ مِنْكُمْ يُؤْمِنُ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ ؕ ذٰلِكُمْ اَزْكٰى

كران وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ بيه كهو ڑوالله تعالىٰ اس يقين زانو بيشك الله تعالىٰ چهو پر پتهه چيزاه پوره زانه ؤن وَاِذَا طَلَّقْتُمُ النِّسَآءَ فَبَلَغْنَ اَجَلَهُنَّ بيه يله توهه طلاق دِتوه پنه نين زنانن تو پته دوبر بيه تهنز عدّت فَلَا تَعْضُلُوْهُنَّ پس مه رٹيو كهه پتهه تهٔ (اى رشته دارو) تمهِ زنانه اَنْ يَّنْكِحْنَ اَزْوَاجَهُنَّ نكاح كرنه نشهِ پنه نين مجوزه خاوندن سيت اده آستن سُو يهوى طلاق دِوه ڈن خاوند يا بيه كانهه اِذَا تَرَاضَوْا بَيْنَهُمْ بِالْمَعْرُوْفِ يله تمهِ پانه وانِ راضى سپدمت آسن قاعده موجب ذٰلِكَ يُوْعَظُ بِهٖ تمو كتهو سيت چهه نصيحت يوان كرنه تس مَنْ كَانَ مِنْكُمْ يُؤْمِنُ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ يُس آسهِ توههِ اندره پڑهه كران معبود برحق بيه پتمس دوہس يعنى قيامتس۔ تعميلِ احكام خداوندى كرهِ سُوى شخص ييس خدايه سنز پوره پڑهه آسهِ بيه آسيس قيامچ پڑهه تمهِ دوہهٖ خدايس برونٹھ گنهِ استاده بيه كرنه۔ يُس نه تعميل احكام كران چهوزن نه تمس خدايه سنز ته قيامچ پڑھے چهه ذٰلِكُمْ اَزْكٰى لَكُمْ وَاَطْهَرُ يه نصيحت قبول كرن چهو تهندِه خيطره زياده صفائى هنز ته زياده پاكى هنز كتهه وَاللّٰهُ يَعْلَمُ وَاَنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ الله تعالىٰ چهو زانان سارے مصلحژ تهٔ زانو نه كينهه ته۔ لهذا پزِه توههِ خدايه سندِه فى حكمن پيٹھ عمل كرنِ۔ وَالْوَالِدٰتُ يُرْضِعْنَ اَوْلَادَهُنَّ حَوْلَيْنِ كَامِلَيْنِ ماجن هُند گرژهِ دودهه دِيُن پنه نين اولادن پورن دون وُرہن اده تمهِ ماجه نكاحس اندر آستن يا طلاق دِنه آمژه آستن لِمَنْ اَرَادَ اَنْ يُّتِمَّ الرَّضَاعَةَ يه گو تهندِه خيطره يُس پوٗرس

لَكُمْ وَأَطْهَرُ ۗ وَاللَّهُ يَعْلَمُ وَأَنتُمْ لَا تَعْلَمُونَ ﴿٢٣٢﴾
وَالْوَالِدَاتُ يُرْضِعْنَ أَوْلَادَهُنَّ حَوْلَيْنِ كَامِلَيْنِ ۖ لِمَنْ أَرَادَ أَن
يُتِمَّ الرَّضَاعَةَ ۚ وَعَلَى الْمَوْلُودِ لَهُ رِزْقُهُنَّ وَكِسْوَتُهُنَّ بِالْمَعْرُوفِ ۚ
لَا تُكَلَّفُ نَفْسٌ إِلَّا وُسْعَهَا ۚ لَا تُضَارَّ وَالِدَةٌ بِوَلَدِهَا وَلَا مَوْلُودٌ
لَّهُ بِوَلَدِهِ ۚ وَعَلَى الْوَارِثِ مِثْلُ ذَٰلِكَ ۗ فَإِنْ أَرَادَا فِصَالًا عَن
تَرَاضٍ مِّنْهُمَا وَتَشَاوُرٍ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْهِمَا ۗ وَإِنْ أَرَدتُّمْ أَن

---

مُدَّ تِس دودهه چاڙن ٻَڌِرهه **وَعَلَى الْمَوْلُودِ لَهُ رِزْقُهُنَّ وَكِسْوَتُهُنَّ بِالْمَعْرُوفِ** اُمَس ٻچه سندِس مالِس پيٺهه
ڇُوڏهِ اُمَس ماجهِ هُند کهَين چين ته پوشاڪ قاعِده موجبُ **لَا تُكَلَّفُ نَفْسٌ إِلَّا وُسْعَهَا**، ڪانسهِ شخص ڇهونه
خدايه سِنده طرفه ڪانهه حکماه دِنه يوان مگر سُوئِي حُڪم ئيس سُو برداشت هيکهِ ڪَرِ تهه لهذا آوزنانهِ حُڪم ڪرنه
اُمَسِ ٻچس دود دِنڪُ ڪيازه تهندِه حقه ڇهوتي سهل ته آسان۔ مردس آوُ حُڪم ڪَرَ نه تمَس زنانهِ هُند کهين
چين ته پوشاڪ دِنڪُ ڪيازه تُسند حق ڇهوتِ سهل ته آسان **لَا تُضَارَّ وَالِدَةٌ بِوَلَدِهَا وَلَا مَوْلُودٌ لَّهُ بِوَلَدِهِ**
ضرر ته نقصان ييهِ نه واتناونه ڪانسهِ ماجهِ پنه نِس ٻچه سندِه سيت نه ڪانسه مالِس پنه نِس ٻچه سندِه سيت۔ يعني
ٻچه سندِس مالِس ماجه هُند گرهِه نه اکه اکس ٻچه سندِ وجهه تکليف واتناوُن۔ مثلاً موج ڪرِه ها اُمَسِ ٻچس دود دِنه
نشهِ بلاوجه اِنڪار يا مول ڪرِه ها جبراً اُمَسِ ٻچس ماجه نشهِ جدا ته دُور تو پته دياوِه ئيس ڪانسهِ زنانهِ اتههِ اُمَس
دود۔ يا ڪره اُمَس ماجهِ اهنزِه کهينه چينه کَن ته اخراجا توکَن تنگ تهِ گرهِه نه ڪرُن **وَعَلَى الْوَارِثِ مِثْلُ ذَٰلِكَ**
وارثن پيٺهه تهِ ڇهو يهوي حُڪم ئيس مالِس پيٺهه ڇهو **فَإِنْ أَرَادَا فِصَالًا عَن تَرَاضٍ مِّنْهُمَا وَتَشَاوُرٍ فَلَا
جُنَاحَ عَلَيْهِمَا** پس هرگاه تِم دوشوِے يعني مول ته موج پانه وانِ رضامندي ته مشوره سان دون
وَرِهَن اندر اندر اُمَسِ ٻچس دود ژَٹن يَڙهن اده تِمن پيٺهه ڇهُنه ڪانهه گناه **وَإِنْ أَرَدتُّمْ أَن تَسْتَرْضِعُوا
أَوْلَادَكُمْ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ** بيه هرگاه تُهه يَڙهِو که ٻچه ڪياه چاوه ناوون دود بيه ڪانسهِ زنانهِ هُندکُنه خاص وجهه
موکهه۔ مثلاً پنهِ ماجه هُندِ دود آسه لِتس ٻچس مضر يا آسهِ ماجي کُنهِ تڪليفه واتنکِ خطره تهه ته ڇهُونه ڪانهه

تَسْتَرْضِعُوْٓا اَوْلَادَكُمْ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ اِذَا سَلَّمْتُمْ مَّآ اٰتَيْتُمْ
بِالْمَعْرُوْفِ ۭ وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ ﴿٢٣٣﴾
وَالَّذِيْنَ يُتَوَفَّوْنَ مِنْكُمْ وَيَذَرُوْنَ اَزْوَاجًا يَّتَرَبَّصْنَ بِاَنْفُسِهِنَّ
اَرْبَعَةَ اَشْهُرٍ وَّعَشْرًا ۚ فَاِذَا بَلَغْنَ اَجَلَهُنَّ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ
فِيْمَا فَعَلْنَ فِيْٓ اَنْفُسِهِنَّ بِالْمَعْرُوْفِ ۭ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ ﴿٢٣٤﴾
وَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ فِيْمَا عَرَّضْتُمْ بِهٖ مِنْ خِطْبَةِ النِّسَاۗءِ اَوْ اَكْنَنْتُمْ

---

گناه توهہِ پيٹھ اِذَا سَلَّمْتُمْ مَّآ اٰتَيْتُمْ بِالْمَعْرُوْفِ يله تهہ ديو تمن سومزوريوسہ توهہ تمن سيت مُقرر
كرمڑ آسوه رتِ پاڻهہ تہ ضابطہ موجب وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ كھوڙو خدا ايس
بيہِ تهاوِ يقين كہ پڙپاڻهِ اللہ تعالىٰ چهو تهنزه سارے كامہِ واره وچهان وَالَّذِيْنَ يُتَوَفَّوْنَ مِنْكُمْ وَيَذَرُوْنَ
اَزْوَاجًا بيہِ تِم شخص توهہِ اندره مَرن پتهہ گُن تراوِتهہ زنانہ منكوحہ يَّتَرَبَّصْنَ بِاَنْفُسِهِنَّ اَرْبَعَةَ اَشْهُرٍ
وَّعَشْرًا تِمن زنانن هُند گرڻهِ پيارُن ژورن ريتن تہ دهن دوهَن۔ يہےَ چهہ تهنز عِدت ايتس كالَس چهُونہ
جائيز تِمن زنانن پانس زينت كُرن۔ مُشك مِتهُن۔ گره منزه نيُرن۔ يہ گيِہ عدت تِس زنانہ هنز تِمسِ خاوند
مومُت آسہِ بچہ آسيس نہ شكمس منز كنهہ تہِ۔ تِمہِ برونٹھ گذرے يہ عِدت تِس زنانہِ هنز يَس مردَن
طلاق آسہ دُيتمت تمسنز عدّت چهہَ تريہ ٣ حيض۔ بيا كھ گيِہ تِس زنانہِ هُنز عدّت يَس خاوند مودمُت
آسہ۔ شكمس منز آسيس بچہِ۔ تمسنز عدت گيہ تو تانِ يو تانِ سو پريسہِ يعنى تمسنز عدت چهہَ بچہ زنيس
تانِ تميكُ حُكم بيہِ بيان كرنہ سوره طلاقس اندر فَاِذَا بَلَغْنَ اَجَلَهُنَّ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ فِيْمَا فَعَلْنَ فِيْٓ
اَنْفُسِهِنَّ بِالْمَعْرُوْفِ پس يلہِ زنانہ پوره كرن پنن عِدّت پس چهُونہ توهہِ كانہہ گناه اے زنانن هنديو
متعلقو تہ رشتہ دارو يتهہ كتهہِ منز كہِ تمہِ زنانہ كياه كرن پننہ حِصہ دو يمہِ نكاحكُ تلاش يُس شرعسَ موافقِ
آسہِ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ اللہ تعالىٰ چهُو تهنزن سارنى كامين هنز پوُر خبر تهاوان وَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ
فِيْمَا عَرَّضْتُمْ بِهٖ مِنْ خِطْبَةِ النِّسَاۗءِ اَوْ اَكْنَنْتُمْ فِيْٓ اَنْفُسِكُمْ بيہِ چهُونہ توهہِ كانہہ گناه اى مردو هرگاه تُهہ كانہہ

فِيٓ أَنفُسِكُمْ ۚ عَلِمَ ٱللَّهُ أَنَّكُمْ سَتَذْكُرُونَهُنَّ وَلَٰكِن لَّا تُوَاعِدُوهُنَّ
سِرًّا إِلَّآ أَن تَقُولُوا۟ قَوْلًا مَّعْرُوفًا ۚ وَلَا تَعْزِمُوا۟ عُقْدَةَ ٱلنِّكَاحِ
حَتَّىٰ يَبْلُغَ ٱلْكِتَٰبُ أَجَلَهُۥ ۚ وَٱعْلَمُوٓا۟ أَنَّ ٱللَّهَ يَعْلَمُ مَا فِيٓ
أَنفُسِكُمْ فَٱحْذَرُوهُ ۚ وَٱعْلَمُوٓا۟ أَنَّ ٱللَّهَ غَفُورٌ حَلِيمٌ ﴿٢٣٥﴾ ع
لَّا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ إِن طَلَّقْتُمُ ٱلنِّسَآءَ مَا لَمْ تَمَسُّوهُنَّ أَوْ

---

اشارہ کٔر وِامہِ قسمہ چَن زنانن یمہِ خاوندمرت عدلَس منز آسَن نکاحُکس پیغامس متعلق یاپوشیدہ تھا وو تمیک ارادہ پنہ نین دلن منز۔ عَلِمَ اللّٰهُ اَنَّكُمْ سَتَذْكُرُوْنَهُنَّ اللہ تعالیٰ اَس چھُو معلوٗم کہ تہۍ کروضرور تمن زنانن سیت نکاح کرنکۍ تذکرٕہِ خیر۔ اشارہ پیٹھ تذکرہ کرنس چھُو نہ کانہہ حرج وَلٰكِنْ لَّا تُوَاعِدُوْهُنَّ سِرًّا لیکن نکاحس متعلق گژھنہ وعدہ قرارکُرن پوشیدہ پاٹھ اِلَّاۤ اَنْ تَقُوْلُوْا قَوْلًا مَّعْرُوْفًا مگرۍ کانہہ کتھاہ کٔرِو ضابطہ موجُب تہِ گو اشارہ پاٹھِ نکاحس متعلق کتھاہ واتناوِنِ وَلَا تَعْزِمُوْا عُقْدَةَ النِّكَاحِ حَتّٰى يَبْلُغَ الْكِتٰبُ اَجَلَهٗ بیہِ مہ کٔرو پوختہ ارادہ فوراً اَمسِ زنانہِ سیت نیتھر کرنکۍ یوتانِ نہ لَس عدتک ایام ختم گژھن۔ یمہِ عدتکۍ حُکم تہ تجویز اللہ تعالیٰ ان پنہ کتابہِ اندر فرموو وَاعْلَمُوْۤا اَنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ مَا فِيْۤ اَنْفُسِكُمْ بیہِ زانوِوارہ یقینہ سان کہ بیشک اللہ تعالیٰ چھُو زانان تہِ سورُی یہ تہندین دِلن اندر چھُو فَاحْذَرُوْهُ پس کھوژِوتَس۔ ناجائزارادہ مہ آسودِلن اندر تھاوان۔ یعنی عدلَس منزی مہ آسو نکاحِ کرنکۍ ارادہ کران۔ کیازہ عدلَس منز نکاحِ کُرن چھُو حرام تہ ناجائز وَاعْلَمُوْۤا اَنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ حَلِيْمٌ بیہِ زانوِوارہ یقینہ سان کہ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن توبہ کرہ وُنین بندن ہرگاہ کانسہِ ناجائز کامہِ ہُند ارادہ کورمتُ آسہِ تو پتہ پیہ حیسَس نادم تہ پشیمان گژھت کرہِ توبہ لَس چھہ امید مغفرتچ۔ اللہ تعالیٰ چھُو حلیم ہرگاہ توبہ نہ کرہ وُنس جلدی سزادِتُن نہ تمہِ سیت گژھہ نہ دھوکہ کھیون سوٗ کیاہ موکلیوو بلکہ چھُو خطرہ کُنہِ نتہ کُنہِ وقتہ رٹیس لَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ اِنْ طَلَّقْتُمُ النِّسَآءَ مَا لَمْ تَمَسُّوْهُنَّ اَوْ تَفْرِضُوْا لَهُنَّ فَرِيْضَةً توہہ پیٹھ چھُو نہ کانہہ گناہ ای مردوہرگاہ تہۍ طلاق دِیو

تَفْرِضُوا لَهُنَّ فَرِيضَةً ۚ وَمَتِّعُوهُنَّ عَلَى الْمُوسِعِ قَدَرُهُ وَ
عَلَى الْمُقْتِرِ قَدَرُهُ ۚ مَتَاعًا بِالْمَعْرُوفِ ۖ حَقًّا عَلَى الْمُحْسِنِينَ ﴿٢٣٦﴾
وَإِنْ طَلَّقْتُمُوهُنَّ مِنْ قَبْلِ أَنْ تَمَسُّوهُنَّ وَقَدْ فَرَضْتُمْ
لَهُنَّ فَرِيضَةً فَنِصْفُ مَا فَرَضْتُمْ إِلَّا أَنْ يَعْفُونَ أَوْ يَعْفُوَا
الَّذِي بِيَدِهِ عُقْدَةُ النِّكَاحِ ۚ وَأَنْ تَعْفُوا أَقْرَبُ لِلتَّقْوَىٰ ۚ وَ
لَا تَنْسَوُا الْفَضْلَ بَيْنَكُمْ ۚ إِنَّ اللَّهَ بِمَا تَعْمَلُونَ بَصِيرٌ ﴿٢٣٧﴾

زنانن تمن اتھ لاگنہ برونٹھے، کُھس منز اژنہ برونٹھے۔ بیہ مہر مقرر کرنہ برونٹھے۔ اتھ صورتس منز چھُونہ توہہِ تمن زنانن مہر دِین مٔطِہ کھسان **وَمَتِّعُوهُنَّ** تتھہ صورتس اندر واتناوِو تہہُ تمن کانہہ فائدہ تہ نفعاہ یعنی تمن دِیو تہہُ خرچاہ۔ تمیُک ادنیٰ درجہِ گوپاشاکُک اکھ جورہ تہ اعلیٰ درجہِ گومُہرک نصف **عَلَى الْمُوسِعِ قَدَرُهُ وَعَلَى الْمُقْتِرِ قَدَرُهُ** آسَن والسِ پیٹھ یُتھہ لتس شوٗبہِ۔ تنگدستس پیٹھ یُتھ لتس شوٗبہ **مَتَاعًا بِالْمَعْرُوفِ** خرچاوہ دستورہ تہ قاعدہ موجُب **حَقًّا عَلَى الْمُحْسِنِينَ** یہ چھُو لازِم نیک معاملہ کرہ ونین لوکن پیٹھ۔ پریتھ مسلمانس پزِہ رُتوی معاملہ کُرن۔ خوش معاملہ آسُن بد معاملہ نہ لاگُن **وَإِنْ طَلَّقْتُمُوهُنَّ مِنْ قَبْلِ أَنْ تَمَسُّوهُنَّ وَقَدْ فَرَضْتُمْ لَهُنَّ فَرِيضَةً** ہرگاہ تہہُ طلاق دیوِ تمن زنانن خلوتِ صحیحہ کرنہ برونٹھ درحالیکہ مہر اوس مقرر کرنہ آمُت **فَنِصْفُ مَا فَرَضْتُمْ** تلہِ گژھہِ تمن دُین مقرر کرنہ آمتہِ مُہرک نِصف **إِلَّا أَنْ يَعْفُونَ** مگرَے زنانہ پننہِ خواہشہِ موجُب سوٗ نصف تہِ معاف کُرن **أَوْ يَعْفُوَا الَّذِي بِيَدِهِ عُقْدَةُ النِّكَاحِ** نتہ سوٗ شخص معاف کرِہ یَس اتھہِ نِکاح جاری تھاو نکُ یا نہ تھاو نکُ اختیار چھُو۔ سوٗ گو خاوند۔ یعنے خاوند دِپہ بودِمہ سوٗرُی مہر پنن حق کرنہ وصُول **وَأَنْ تَعْفُوا أَقْرَبُ لِلتَّقْوَىٰ** ای حقدار و تہہُند معاف کُرن بخشنوی چھُو زیادہ قریب پرہیزگاری سیت **وَلَا تَنْسَوُا الْفَضْلَ بَيْنَكُمْ** مہ مٔشر اوو پانہ وانِ اکھ اکِس پیٹھ احسان کُرن **إِنَّ اللَّهَ بِمَا تَعْمَلُونَ بَصِيرٌ** بیشک اللہ تعالیٰ چھُو تتھہ سارسی یہِ تہہُ کران چھِوہ وارہ و چھان **حَافِظُوا عَلَى الصَّلَوَاتِ وَالصَّلَاةِ الْوُسْطَىٰ** راچھہِ کرِو سارنی

حَافِظُوْا عَلَى الصَّلَوٰتِ وَالصَّلٰوةِ الْوُسْطٰى ۗ وَقُوْمُوْا لِلّٰهِ قٰنِتِيْنَ ﴿۲۳۸﴾ فَاِنْ خِفْتُمْ فَرِجَالًا اَوْ رُكْبَانًا ۚ فَاِذَآ اَمِنْتُمْ فَاذْكُرُوا اللّٰهَ كَمَا عَلَّمَكُمْ مَّا لَمْ تَكُوْنُوْا تَعْلَمُوْنَ ﴿۲۳۹﴾ وَالَّذِيْنَ يُتَوَفَّوْنَ مِنْكُمْ وَيَذَرُوْنَ اَزْوَاجًا ۖ وَّصِيَّةً لِّاَزْوَاجِهِمْ مَّتَاعًا اِلَى الْحَوْلِ غَيْرَ اِخْرَاجٍ ۚ فَاِنْ خَرَجْنَ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ فِيْ مَا

---

نمازن یُتھنہ کانہہ نماز اتھہ گژھوہ یاپنہِ وقتہ نِشہِ ڈلہِ وہ۔ بیہِ کرور اپھہِ منزمہِ نمازِہ۔ منزم نمازگیٔہ دِگر نماز۔ نتہ چھُو یہِ تہِ تاکید سارنی نمازن ہندِہ خاطرہ۔ کیازہ پریتھ نماز چھہ پانژو نمازو اندرہ منزم نماز۔ سارنی نمازن متعلق گژھہِ لازِم تہ ضروری آسنکُ ہہُوی خیال تھاوُن وَقُوْمُوْا لِلّٰهِ قٰنِتِيْنَ وو تھد روزِو خدایس برونٹھ کنہِ عاجزی سان۔ ترِٛھہ کانہہ حرکتھ مہ کرِو نمازِہ اندر یمہِ سیت لبنہ ییہِ یہِ چھُونہ نماز پران۔ سو گو کھیون چون۔ کتھہ کرنہِ تہ اورہ یور نظرہ دِنہِ۔ فَاِنْ خِفْتُمْ فَرِجَالًا اَوْ رُكْبَانًا پس ہرگاہ تُہہ کھوژِود شمنس یا بیہ کانسہِ پَس پرو نماز پتھر، وودنہِ یا سوارین پیٹھ بہتھ فَاِذَآ اَمِنْتُمْ فَاذْكُرُوا اللّٰهَ كَمَا عَلَّمَكُمْ مَّا لَمْ تَكُوْنُوْا تَعْلَمُوْنَ ادہ یلہِ امنگ پورہ اطمینان سپدہِ خوف حالت گژھہِ دُور پَس کرِو خدایہ سُند یاد یعنی پرِو نماز حسبِ دستور یتھ پاٹھِ اللّٰہ تعالیٰ اَن ہیچھناووہ تُہہ تہِ ینہ تُہہ زانہو۔ یعنی لڑایہِ منز یاد شمنہ سندِہ خوفہ کہِ وقتہ وودنہ یا سواری پیٹھ اشارہ سیت نماز پرِن چھُوہ جائیز۔ مگر امن وامان یلہِ حاصل سپدِہ تلہِ گژھہِ بیہِ تمہِ طریقہ نماز اداکرن یمہِ طریقہ خدااین حُکم کور۔ یمہِ آئیہ کریمہ اندرہ چھُو صاف ظاہر سپدان کہ نماز وقتس پیٹھ اداکرِن کو تاہ ضروری تہ لازمی چھُو وَالَّذِيْنَ يُتَوَفَّوْنَ مِنْكُمْ وَيَذَرُوْنَ اَزْوَاجًا بیہِ یم توہہِ اندرہ مرنس قریب آسن (اے مردو) تہ پتھ گُن تراوُن زنانہ تمن پزِہ وصیّت کرِن وَّصِيَّةً لِّاَزْوَاجِهِمْ وصیّتاہ پنہ نین زنانَن ہندِہ خاطرہ مَّتَاعًا اِلَى الْحَوْلِ غَيْرَ اِخْرَاجٍ خرچ دنہ خیطرہ اکس ؤرہس تانِ۔ بیہِ گژھن نہ گھرو منزہ کڈنہِ تمہِ زنانہ فَاِنْ خَرَجْنَ پس ہرگاہ تمہِ زنانہ پانے درایہ گھرہ اندرہ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ پس چھُونہ توہہ کانہہ گناہ اے اَمِس میتّہ سندیو وارثو فِيْ مَا فَعَلْنَ

فَعَلْنَ فِيْٓ اَنْفُسِهِنَّ مِنْ مَّعْرُوْفٍ ۭ وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿٢٤٠﴾

وَلِلْمُطَلَّقٰتِ مَتَاعٌۢ بِالْمَعْرُوْفِ ۭ حَقًّا عَلَي الْمُتَّقِيْنَ ﴿٢٤١﴾

كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اٰيٰتِهٖ لَعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ ﴿٢٤٢﴾ ع

اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ خَرَجُوْا مِنْ دِيَارِھِمْ وَھُمْ اُلُوْفٌ حَذَرَ الْمَوْتِ

فَقَالَ لَهُمُ اللّٰهُ مُوْتُوْا ۣ ثُمَّ اَحْيَاھُمْ ۭ اِنَّ اللّٰهَ لَذُوْ فَضْلٍ عَلَي

النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَشْكُرُوْنَ ﴿٢٤٣﴾ وَقَاتِلُوْا فِيْ سَبِيْلِ

---

فِيْٓ اَنْفُسِهِنَّ مِنْ مَّعْرُوْفٍ تہ اندر يہ کنہن شاهہ تہ زنانه کرن پنہ نس پانس منز کا نہ جائز کاماه۔ زینت یا بیہ کینہہ وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو غالِب حکمتہ وول۔ یہ حُکم چھُو منسوخ سُپدِ مُت وراثتہ کہ حُکمہ سیت وَلِلْمُطَلَّقٰتِ مَتَاعٌۢ بِالْمَعْرُوْفِ ۔ بیہ تِمَن زنانَن طلاق دِنہ آمُت آسہِ تِمَن شُوبہ خرچ دِین ضابطہِ موجب حَقًّا عَلَي الْمُتَّقِيْنَ یہ چھُو لازِم پرہیز گارَن پیٹھ۔ ساری مسلمان گے پرہیز گاری كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اٰيٰتِهٖ لَعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ تہ پاٹھِ چھُو اللہ تعالیٰ وارہ بیان کران تہ ویژھ ناوان توہیہ پنِن آیات تہ احکام یُتھ توہہِ فکرِہ ترِہ اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ خَرَجُوْا مِنْ دِيَارِھِمْ وَھُمْ اُلُوْفٌ حَذَرَ الْمَوْتِ تُہہ وچھِونا تِمَن لوکن کُن یِم درای ژلنہ خیطرہ پنہ نیو گرواندرہ (تِم آسِ واریاہ ساس لُوکھ) مرنکہِ خوفہ۔ تہندِس شہرس اندر ریلہِ طاعون ووتھ یا دشمنن سیت مقابلہ کرنکُ تاب اونکھ نہ تہ توے ژلِ۔ تِموٚ کور خیال ژلنہ سیت لَبوٚ اَسِ مرنہ نِشہِ نجات۔ تقدیرس پیٹھ رُودِنہ راضی۔ تِمہِ پتہ یلہِ واتِ تِم اکِس میدانس منز فَقَالَ لَهُمُ اللّٰهُ مُوْتُوْا اتی فرموٚدکھ اللہ تعالیٰ اَن مرِو۔ یکدم موٚدِ ساری ثُمَّ اَحْيَاھُمْ توپتہ گو کینہہ کالاہ (ستھ آٹھ دوہ تقریباً) اللہ تعالیٰ اَن کٔر تِم بیہِ زندہ یُتھ تِم امہ گنہہ نِشہِ توبہ کرَن اِنَّ اللّٰهَ لَذُوْ فَضْلٍ عَلَي النَّاسِ بڑپاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو فضل کرہ وُن لوکن پیٹھ یمن پیٹھ تہِ کورُن پنُن فضل۔ بیہِ زندہ کٔرتھ دیتنکھ توبہ کرنکُ موقعہ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَشْكُرُوْنَ مگر اکثر لوکھ چھنہِ خدایس شکر گذاری کران وَقَاتِلُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ای مسلمانو تُہہ مہ

اللّٰهِ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ﴿۲۴۴﴾ مَنْ ذَا الَّذِيْ يُقْرِضُ اللّٰهَ قَرْضًا حَسَنًا فَيُضٰعِفَهٗ لَهٗٓ اَضْعَافًا كَثِيْرَةً ۭ وَاللّٰهُ يَقْبِضُ وَيَبْصُۜطُ ۠ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ﴿۲۴۵﴾ اَلَمْ تَرَ اِلَى الْمَلَاِ مِنْۢ بَنِيْٓ اِسْرَاۗءِيْلَ مِنْۢ بَعْدِ مُوْسٰى ۘ اِذْ قَالُوْا لِنَبِىٍّ لَّهُمُ ابْعَثْ لَنَا مَلِكًا نُّقَاتِلْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ۭ قَالَ هَلْ عَسَيْتُمْ اِنْ كُتِبَ عَلَيْكُمُ الْقِتَالُ اَلَّا تُقَاتِلُوْا ۭ قَالُوْا وَمَا لَنَآ اَلَّا نُقَاتِلَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ وَقَدْ اُخْرِجْنَا مِنْ

---

آسِو مرنس کھوڑان۔ تُہہ آسِو خدایہ سنزہ وَتہِ اندر خدایِہ سندِہ دینکہ تھزرہ خیطرہ جہاد کران۔ جہاد کرنہ خیطرہ تیار روزان۔ بیہ تھاوِ یقین اللہ تعالیٰ چھُو سوری بوزہ ڈِن سوری زانہ ڈِن مَنْ ذَا الَّذِيْ يُقْرِضُ اللّٰهَ قَرْضًا حَسَنًا کہُہ اکھاہ چھُوئس ووزُم دِیہ خدائس ووزماہ رُت یعنی تھزن وتن اندر کرہ مال پنن خرچ وڈِھہِ والنجہِ۔ اتھ تھوو اللہ تعالیٰ ان ناو قرض مجازہ پاٹھِہ۔ امہِ اندرہ چھُو مطلب ییتھ پاٹھِہ قرضُک عوض ضرور چھُو دِنہ یِوان، یتھے پاٹھ ییہ ضرور خدایِہ سندِ حُکمہ موجب رژن وتن اندر مال خرچ کرنکُ عوض عطا کرنہ فَيُضٰعِفَهٗ لَهٗٓ اَضْعَافًا كَثِيْرَةً پس کرِہ تِمن عطا اللہ تعالیٰ تیج مزرو واریاہ گن زیادہ۔ اکسی دہہ گن تہِ، ستتہ گن تہِ، ست ہتہ گن تہ، ستتہ ساسہ گن تہِ وَاللّٰهُ يَقْبِضُ وَيَبْصُۜطُ اللہ تعالیٰ ای چھُورزقس اندر تنگی کران آزماونہ خیطرہ سوی چھُورزقس اندر وسُعت کران امتحانہ خیطرہ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ تس گُن بیہِ نہ کانسہِ گُن اِیو تُہہ ساری واتناونہ اَلَمْ تَرَ اِلَى الْمَلَاِ تُہہ وچھو ناشریفن ہنزِہ اکس جماعژ گُن مِنْۢ بَنِيْٓ اِسْرَاۗءِيْلَ یم بنی اسرائیلو اندرہ آسِ مِنْۢ بَعْدِ مُوْسٰى حضرت موسیٰ سندِہ وفاتہ پتہ اِذْ قَالُوْا لِنَبِىٍّ لَّهُمُ یلہِ تموو ون پنہ نِس پیغمبرس حضرت شمویلس ابْعَثْ لَنَا مَلِكًا مقرر کریون سانہ خیطرہ پادشاہ تہ امیراہ اکھ نُّقَاتِلْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ یُتھ تھزہ ماتحتی اندر اسِ خدایِہ سندہ خیطرہ تہندس دشمنس جالوتس سیت جہاد کرو قَالَ تم پیغمبرن فرموو کھ هَلْ عَسَيْتُمْ اِنْ كُتِبَ عَلَيْكُمُ الْقِتَالُ اَلَّا تُقَاتِلُوْا قَالُوْا وَمَا لَنَآ اَلَّا نُقَاتِلَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ کیا یِہ ماسپدہ کہ اگر توہہ پیٹھ جہاد فرض آو کرنہ تمہِ پتہ کرِو نہ توہہ جہاد تمو

دِيَارِنَا وَأَبْنَآئِنَا ۖ فَلَمَّا كُتِبَ عَلَيْهِمُ الْقِتَالُ تَوَلَّوْا إِلَّا قَلِيلًا مِّنْهُمْ ۗ وَاللَّهُ عَلِيمٌ بِالظَّالِمِينَ ﴿٢٤٦﴾ وَقَالَ لَهُمْ نَبِيُّهُمْ إِنَّ اللَّهَ قَدْ بَعَثَ لَكُمْ طَالُوتَ مَلِكًا ۚ قَالُوا أَنَّىٰ يَكُونُ لَهُ الْمُلْكُ عَلَيْنَا وَنَحْنُ أَحَقُّ بِالْمُلْكِ مِنْهُ وَلَمْ يُؤْتَ سَعَةً مِّنَ الْمَالِ ۚ قَالَ إِنَّ اللَّهَ اصْطَفَاهُ عَلَيْكُمْ وَزَادَهُ بَسْطَةً فِي الْعِلْمِ وَالْجِسْمِ ۖ وَاللَّهُ يُؤْتِي مُلْكَهُ مَن يَشَاءُ ۚ وَاللَّهُ وَاسِعٌ عَلِيمٌ ﴿٢٤٧﴾

---

دوپ اسہِ کیاہ گوٲسِ کرونہ جہاد خدایہِ سنزہ وتہِ اندر وَقَدْ أُخْرِجْنَا مِن دِيَارِنَا وَأَبْنَآئِنَا حالانکہ اسہِ چھُو تہندہ دستہ ذاتی تکلیف تہِ واتناونہ آمت اسِ چھہِ جلاوطن کرنہ آمِت، شرُیو باژوو منزہ کڈنہ آمتِ فَلَمَّا كُتِبَ عَلَيْهِمُ الْقِتَالُ تَوَلَّوْا إِلَّا قَلِيلًا مِّنْهُمْ پس یلہِ فرض کرنہ آو تمن پیٹھ جہاد تمہِ وقتہ ژلِ بُتھ پھیر کھ۔ بزدِل سپدِ۔ مگر نہ کیژ و شخصو تمِواندرہ تم آسِ تریہ ہتھ تہ ترواہ شخص وَاللَّهُ عَلِيمٌ بِالظَّالِمِينَ اللہ تعالیٰ چھُو پوٗرُ زانہٕ وُن ظالمن تہ نافرمانن وَقَالَ لَهُمْ نَبِيُّهُمْ إِنَّ اللَّهَ قَدْ بَعَثَ لَكُمْ طَالُوتَ مَلِكًا بیہِ فرموو تمن پیغمبرن پننِ۔ پزپاٹھِ اللہ تعالیٰ ان کور مقرر طالُوت تُہند بادشاہ قَالُوا أَنَّىٰ يَكُونُ لَهُ الْمُلْكُ عَلَيْنَا دپنہ لگ تس کتھ پاٹھ چھُو حق اسہِ پیٹھ حکمرانی کرنکُ وَنَحْنُ أَحَقُّ بِالْمُلْكِ مِنْهُ اسِ چھہِ پانہ حکومت کرنِک حقدار تسندِہ خوتہ۔ وَلَمْ يُؤْتَ سَعَةً مِّنَ الْمَالِ بیہِ چھُونہ تس وُسعتِ مال و دولتس اندر سانہ کھوتہ زیادہ کینہہ قَالَ إِنَّ اللَّهَ اصْطَفَاهُ عَلَيْكُمْ پیغمبرن فرموٗ کھ پزپاٹھہِ اللہ تعالیٰ آن کور سوٗی برگزیدہ توہہِ پیٹھہ وَزَادَهُ بَسْطَةً فِي الْعِلْمِ وَالْجِسْمِ بیہِ کُرن تس زیادتی عطا عَلمس منزتہِ جسمس منزتہ اللہ تعالیٰ ان اوس تس علم سیاست علم تدبیر ملک علم حرب یعنی جنگ کرنکُ علم عطا کورمُت بیہ اوس سوٗ قد بلند تہ خوبصورت وَاللَّهُ يُؤْتِي مُلْكَهُ مَن يَشَاءُ اللہ تعالیٰ چھو عطا کران مُلک پنن یَس یژھان چھُو تہ تس۔ کانسہِ چھُونہ حق تس اعتراض کُرنک وَاللَّهُ وَاسِعٌ عَلِيمٌ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ آسن وول۔ سوٗ کرِہ تس تہِ وسعت عطا۔ سوٗ چھُو سیٹھاہ زانن وول۔ تمسی چھہِ خبر کہہ کتھ قابل

وَقَالَ لَهُمْ نَبِيُّهُمْ إِنَّ آيَةَ مُلْكِهِ أَنْ يَأْتِيَكُمُ التَّابُوتُ فِيهِ
سَكِينَةٌ مِنْ رَبِّكُمْ وَبَقِيَّةٌ مِمَّا تَرَكَ آلُ مُوسَىٰ وَآلُ هَارُونَ
تَحْمِلُهُ الْمَلَائِكَةُ ۚ إِنَّ فِي ذَٰلِكَ لَآيَةً لَكُمْ إِنْ كُنْتُمْ مُؤْمِنِينَ ﴿٢٤٨﴾ ع
فَلَمَّا فَصَلَ طَالُوتُ بِالْجُنُودِ قَالَ إِنَّ اللَّهَ مُبْتَلِيكُمْ بِنَهَرٍ ج
فَمَنْ شَرِبَ مِنْهُ فَلَيْسَ مِنِّي ۖ وَمَنْ لَمْ يَطْعَمْهُ فَإِنَّهُ مِنِّي إِلَّا مَنِ

---

چھُو۔ یمو بنی اسرائیلو دوپ یمیُک کیاہ نشانہ تہ علامت چھُو کہ اللہ تعالیٰ ان کیاہ چھُو واقعی یہوی طالُوت حکمرانی خیطرٕ مقرر کورمُت وَقَالَ لَهُمْ نَبِيُّهُمْ إِنَّ آيَةَ مُلْكِهِ أَنْ يَأْتِيَكُمُ التَّابُوتُ فِيهِ سَكِينَةٌ مِنْ رَبِّكُمْ فرمووُکھ پنِنِ پیغمبرن بیشک امسندِ بادشاہی ہُند نشانہِ چھُو یہ کہِ توہہِ لَش واتہِ سُہ صندوق یتھ اندر خدایہِ سندِ تُہندہ خیطرٕ دُلک قرار چھُو وَبَقِيَّةٌ مِمَّا تَرَكَ آلُ مُوسَىٰ وَآلُ هَارُونَ تَحْمِلُهُ الْمَلَائِكَةُ بیہ کینہہ بچےمتِ چیز تمِو چیزو اندرٕ یم چیز پتھ کُن تراوِمتِ چھہِ حضرتِ موسیٰ ان تہ حضرتِ ہارونن تتھ تابوتس واتناون توہہِ نشہِ ملایک یعنی حضرتِ موسیٰ سندِ نعلین۔ حضرتِ ہارونہ سُند عمامہ بیہ کینہہ حِصہٕ من وسلوائک بیہ توراتچہ کینہہ ہچہ إِنَّ فِي ذَٰلِكَ لَآيَةً لَكُمْ إِنْ كُنْتُمْ مُؤْمِنِينَ بیشک اتھ منز چھُو پوُر نشانہ تُہندہ خیطرٕ چھِوے تُہہ پژھ کرہوُنِ۔ اتی آئے ملائک سُہ صندوق ہیتھ تو پتہ واتنووکھ طالوتس نشہِ بنی اسرائیل آسِ سوُ حال پانہ وچھان۔ اتی کور تمِو تسلیم تہندس پادشاہتس۔ تو پتہ سپدِ ساری آمادہ امسندس قیادتس اندر جہاد کرنس پیٹھ۔ فَلَمَّا فَصَلَ طَالُوتُ بِالْجُنُودِ ادہ یلہِ دراوٗ طالوت بنی اسرائیلن ہنز لشکر ہت۔ یہ اوس گرمُک موسمِ۔ فوجس لج وتہِ پکان سخت ترلیش۔ تمِو ژھونڈ آب قَالَ إِنَّ اللَّهَ مُبْتَلِيكُمْ بِنَهَرٍ دوُپکھ طالوتن ای لوکو معلوم چھونہ توہہِ اندرٕ کُس چھُو مخلص تہ کُس چھُونہ مخلص۔ لہذا کرہ اللہ تعالیٰ توہہِ آزمائش برونٹھ اکہِ دریاوہ سیت فَمَنْ شَرِبَ مِنْهُ فَلَيْسَ مِنِّي پس یُس اکھاہ تمہِ دریاوک آب چیہِ سُہ چھُونہ میون یعنے میانہِ جماعتُک وَمَنْ لَمْ يَطْعَمْهُ فَإِنَّهُ مِنِّي یُس نہ سُہ آب ژھہِ تہِ سُہ ی چھُو میون إِلَّا مَنِ اغْتَرَفَ غُرْفَةً بِيَدِهِ مگرے کاژھاہ دوژھہ سیت تُلتھ دامہ ہناچیہِ۔ اتی آو برونٹھ دریاواہ

اغْتَرَفَ غُرْفَةًۢ بِيَدِهٖ ۚ فَشَرِبُوْا مِنْهُ اِلَّا قَلِيْلًا مِّنْهُمْ ؕ فَلَمَّا جَاوَزَهٗ هُوَ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ ۙ قَالُوْا لَا طَاقَةَ لَنَا الْيَوْمَ بِجَالُوْتَ وَجُنُوْدِهٖ ؕ قَالَ الَّذِيْنَ يَظُنُّوْنَ اَنَّهُمْ مُّلٰقُوا اللّٰهِ ۙ كَمْ مِّنْ فِئَةٍ قَلِيْلَةٍ غَلَبَتْ فِئَةً كَثِيْرَةًۢ بِاِذْنِ اللّٰهِ ؕ وَاللّٰهُ مَعَ الصّٰبِرِيْنَ ﴿٢٤٩﴾ وَلَمَّا بَرَزُوْا لِجَالُوْتَ وَجُنُوْدِهٖ قَالُوْا رَبَّنَآ اَفْرِغْ عَلَيْنَا صَبْرًا وَّثَبِّتْ اَقْدَامَنَا وَانْصُرْنَا عَلَى الْقَوْمِ الْكٰفِرِيْنَ ﴿٢٥٠﴾ فَهَزَمُوْهُمْ بِاِذْنِ اللّٰهِ ۙ

---

اکھِ مگر یمن رُودنہ طالوتہ سنداتھ متعلق بیان کُرن یادے **فَشَرِبُوْا مِنْهُ** یمن آس سخت ترِیش لَجمٕژ۔ تِموچویڈ بریتھ آباہ **اِلَّا قَلِيْلًا مِّنْهُمْ** مگر نہ کم کنیژو تِمِو اندرہ۔ تِمو کور صبری **فَلَمَّا جَاوَزَهٗ هُوَ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ** پس یلہِ طالوت بیہِ تِم باایمان یِم اتھ امتحانس منز کامیاب رودِ یِمو نہ آب چوویا تِمِو اتھہ سیت تُلِتھہ کم دامہ ہناہ چیہِ تِم آسِ ترہ[٣] ہت تہ ترواہ۔ تےِ یلہِ امہِ دریاوہ نِشہِ اپور ترِ۔ اپور ترِت ڈِچھ تِمو دشمنہ سنز لشکر یعنی جالوتہ سنز **قَالُوْا لَا طَاقَةَ لَنَا الْيَوْمَ بِجَالُوْتَ وَجُنُوْدِهٖ** جالوتہ سنز یہ لشکر وچھت کھوژ دِپنہِ لگ اسہِ کتہ چھُو طاقت جالوتس تہ تہنزِہ لشکرہ سیت جنگ کرنک **قَالَ الَّذِيْنَ يَظُنُّوْنَ اَنَّهُمْ مُّلٰقُوا اللّٰهِ** مگر یمن یقین اوس پنہ نس خدایس سیت ملاقات کرنکُ تِمو ڈِیکھ **كَمْ مِّنْ فِئَةٍ قَلِيْلَةٍ غَلَبَتْ فِئَةً كَثِيْرَةًۢ بِاِذْنِ اللّٰهِ** پروامہ بُروکینہہ۔ کیژراہ کمی یہ جماعژ آسہ تےِ سپزہ غالب وارِیہن جماعتن پیٹھ خدایہِ سندِہ حُکمہ سیت **وَاللّٰهُ مَعَ الصّٰبِرِيْنَ** اللہ تعالیٰ چھُو صبر کرونین سیت سیت **وَلَمَّا بَرَزُوْا لِجَالُوْتَ وَجُنُوْدِهٖ** تِمہِ پتہ یلہِ طالوتہ سند فوج دراو جالوتس تہ تہندس فوجس سیت مقابلہ کرنہ خیطرہ **قَالُوْا رَبَّنَآ اَفْرِغْ عَلَيْنَا صَبْرًا وَّثَبِّتْ اَقْدَامَنَا وَانْصُرْنَا عَلَى الْقَوْمِ الْكٰفِرِيْنَ** دعا لگ کرنہِ اےِ سانہ پروردگارہ ژہ تراواسہ پیٹھ صبر واستقلال بیہ درراوٚ قدم سانِ بیہ کریاری اسہ غلبہ دِہ کافرن ہندِس قومس پیٹھ **فَهَزَمُوْهُمْ بِاِذْنِ اللّٰهِ** پس دیت شکست طالوتہ سنزی لشکرِہ یتھ منز حضرتِ داوٗد اوس اکھ سپاہِ جالوتس تہ تہنزِہ لشکرِہ خدایہِ سندِہ حُکمہ سیت **وَقَتَلَ دَاوٗدُ جَالُوْتَ** حضرت

وَقَتَلَ دَاوٗدُ جَالُوْتَ وَاٰتٰىهُ اللّٰهُ الْمُلْكَ وَالْحِكْمَةَ وَعَلَّمَهٗ مِمَّا يَشَآءُ ۗ وَلَوْلَا دَفْعُ اللّٰهِ النَّاسَ بَعْضَهُمْ بِبَعْضٍ لَّفَسَدَتِ الْاَرْضُ وَلٰكِنَّ اللّٰهَ ذُوْ فَضْلٍ عَلَى الْعٰلَمِيْنَ ﴿۲۵۱﴾ تِلْكَ اٰيٰتُ اللّٰهِ نَتْلُوْهَا عَلَيْكَ بِالْحَقِّ ۗ وَاِنَّكَ لَمِنَ الْمُرْسَلِيْنَ ﴿۲۵۲﴾

تِلْكَ الرُّسُلُ فَضَّلْنَا بَعْضَهُمْ عَلٰى بَعْضٍ ۘ مِنْهُمْ مَّنْ كَلَّمَ اللّٰهُ وَرَفَعَ بَعْضَهُمْ دَرَجٰتٍ ۗ وَاٰتَيْنَا عِيْسَى ابْنَ

---

داوودن مور جالوت یلہ طالوتن لشکرہ منز اعلان کور کہ کوہ اکھا مارِہ جالوتس۔ تس کرہ بوپنہِ صاجزادہِ سیت نکاح بیہِ دمس نصف سلطنت حضرت داود دراو برونٹھ گُن دوپُن بو کرہ یہ کوم۔ چنانچہِ یان مقابلہ سپدُ حضرتِ داوٗد آو جالوتس قتل کرتھ تو پتہ کور طالوتن وعدہ پنن پور۔ دامادتہِ بناوُن بیہِ تھوون سلطنتکُ شریک پانس سیت۔ پتہ یلہِ طالوِت بیئس اَکس لڑایہ اندر شہید سپدُ پتہ سپدُ ساری مملکتکُ پادشاہ حضرتِ داوٗد **وَاٰتٰىهُ اللّٰهُ الْمُلْكَ وَالْحِكْمَةَ** اللہ تعالیٰ ان گور حضرت داوٗدوس عطا پادشاہت تہ حِکمت **وَعَلَّمَهٗ مِمَّا يَشَآءُ** بیہِ ہیچھاوُن تم تم چیز یم تس خوش کُر **وَلَوْلَا دَفْعُ اللّٰهِ النَّاسَ بَعْضَهُمْ بِبَعْضٍ لَّفَسَدَتِ الْاَرْضُ** ہر گاہ نے اللہ تعالیٰ اڈیولو کو سیت اڈین لوکن ہندِ شر دور کرہ ہا ملک گژھہِ ہا تباہ تہ برباد کفر و شر کہ سیت فتنو تہ فسادو سیت **وَلٰكِنَّ اللّٰهَ ذُوْ فَضْلٍ عَلَى الْعٰلَمِيْنَ** مگر اللہ تعالیٰ چھُو فضلہ وول مخلوقن پیٹھ **تِلْكَ اٰيٰتُ اللّٰهِ نَتْلُوْهَا عَلَيْكَ بِالْحَقِّ وَاِنَّكَ لَمِنَ الْمُرْسَلِيْنَ** یم قِصہ برو نٹھِمین لوکن ہندِ چھہِ نن نشانہ پروردگارہ سندِہ قدرتک یم اَسِ توہہِ پیٹھ پران چھہِ پزپاٹِ تہِ چھ بجہ دلیلہ یتھہ پیٹھ کہ تہہ چھوہ بیشک پیغمبر واندرہ۔ **تِلْكَ الرُّسُلُ** تم پیغمبر یمن ہنز ذِکر یتھ سوٗرہ شریفس منز آیہِ کرنہ یا یمو پیغمبر واندرہ تُہہ چھِوہ **فَضَّلْنَا بَعْضَهُمْ عَلٰى بَعْضٍ** فضیلت دُیت اَسہِ تِمو اندرہ بعضی پیغمبرن بعضین پیٹھ۔ **مِنْهُمْ مَّنْ كَلَّمَ اللّٰهُ** تِمو اندرہ چھہِ بعضی تم یمَن سیت اللہ تعالیٰ اَن کتھہِ کرِہ بلاواسطہ مثلِ موٗسیٰ علیہ السلام **وَرَفَعَ بَعْضَهُمْ دَرَجٰتٍ** بعضین ہندِ درجہ کرِن بلند تم کرِن خاص تِمو

مَرْيَمَ الْبَيِّنٰتِ وَاَيَّدْنٰهُ بِرُوْحِ الْقُدُسِ ؕ وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ مَا اقْتَتَلَ
الَّذِيْنَ مِنْۢ بَعْدِهِمْ مِّنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَتْهُمُ الْبَيِّنٰتُ وَلٰكِنِ اخْتَلَفُوْا
فَمِنْهُمْ مَّنْ اٰمَنَ وَمِنْهُمْ مَّنْ كَفَرَ ؕ وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ مَا اقْتَتَلُوْا ۟
وَلٰكِنَّ اللّٰهَ يَفْعَلُ مَا يُرِيْدُ ﴿۲۵۳﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اَنْفِقُوْا
مِمَّا رَزَقْنٰكُمْ مِّنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَ يَوْمٌ لَّا بَيْعٌ فِيْهِ وَلَا خُلَّةٌ وَّلَا
شَفَاعَةٌ ؕ وَالْكٰفِرُوْنَ هُمُ الظّٰلِمُوْنَ ﴿۲۵۴﴾ اَللّٰهُ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۚ اَلْحَيُّ

---

خصوصيا تو سيت تيمَ نه بين آی عطا کرنه۔ حضرتِ ابراهيمس خُلّت۔ حضرتِ داددُس ملک ته نبوت حضرتِ سليمانس تسخير جن وانس و هوا۔ حضرتِ محمد عربيس صلی الله عليه وسلم رسالت عامه ختم نبوت۔ معراج جسمانی۔ سير مُلک و ملکُوت بيه کمال قرُب **وَاٰتَيْنَا عِيْسَى ابْنَ مَرْيَمَ الْبَيِّنٰتِ** بيهِ کرهِ اَسهِ عطا حضرتِ عيسٰی اس يُس فرزند حضرت مريمه سنُ چھو، ننهِ دليله، بڈِ معجزات **وَاَيَّدْنٰهُ بِرُوْحِ الْقُدُسِ** بيهِ کور اَسهِ تمن تائيد جبريلِ اَمينه سندِه سيت۔ سۆ اوس تهنده حفاظته خيطرِه تمن سيت سيت آسان **وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ مَا اقْتَتَلَ الَّذِيْنَ مِنْۢ بَعْدِهِمْ** توپته هرگاه الله تعالٰی يژهِ ها سارنی لوکن هُند هدايت تيلهِ کره هن نه تم لوکھ تيمَ پيغمبرن پته آی پانه وانِ اختلاف ته قتل و قتال و خونريزی **مِّنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَتْهُمُ الْبَيِّنٰتُ** ننهِ دليله تمن نشهِ واتنه پته **وَلٰكِنِ اخْتَلَفُوْا فَمِنْهُمْ مَّنْ اٰمَنَ وَمِنْهُمْ مَّنْ كَفَرَ** مگر تمو کور اختلاف تيمهِ سببه تمو قتل و قتال ته خُونريزی تهِ کُر۔ چنانچه تمو اندره رُودِ بعضے حقس ته ايمانس پيٹھ ثابت، بعضيو کور تمو اندره کُفر ته اِنکار حقيقت پڅھ **وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ مَا اقْتَتَلُوْا** هرگاه الله تعالٰی يژهِ ها تمن سارنی هُند هدايت تم اِختلاف ته قتل و قتال و خونريزی کرهن نه **وَلٰكِنَّ اللّٰهَ يَفْعَلُ مَا يُرِيْدُ** ليکن الله تعالٰی سُند اراده اوس تيتھے پاٹھ۔ سۆ يه يژهان چھو ننه حکمته سيت تهِ چھو کران ننهِ قدرته سيت۔ **يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اَنْفِقُوْا مِمَّا رَزَقْنٰكُمْ** اے بايمانو خرچ کرو تمهِ ماله اندره يُس اسی عطا کور تُوهِ۔ **مِّنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَ يَوْمٌ لَّا بَيْعٌ فِيْهِ وَلَا خُلَّةٌ وَّلَا شَفَاعَةٌ** سۆ خوفناک دوه يِنه برونٹھ تيمهِ دوهه نه هيون

# اَلْقَيُّوْمُ ۚ لَا تَاْخُذُهٗ سِنَةٌ وَّلَا نَوْمٌ ؕ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ؕ مَنْ ذَا الَّذِيْ يَشْفَعُ عِنْدَهٗٓ اِلَّا بِاِذْنِهٖ ؕ يَعْلَمُ مَا بَيْنَ اَيْدِيْهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ ۚ وَلَا يُحِيْطُوْنَ بِشَيْءٍ مِّنْ عِلْمِهٖٓ اِلَّا بِمَا

کُنن آسہ نہ یار برادری آسہ نہ سفارشہ ہُند کانہہ سِلسِلہ آسہ وَالْكٰفِرُوْنَ هُمُ الظّٰلِمُوْنَ کافری چھہِ بڈ ظالِم۔ یمو پنہ نِس پانس ظلم کور کفر و شرکہ سیت۔ خدایہ سنزہ نافرمانی سیت۔ تمنی نہ دیہ کانسہ ہنز دوستی فائدہ نہ کانسہِ ہنز سفارش۔ ای بایمانو تہہ مہ بنو تمن ہی اَللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ اللہ تعالیٰ گو سوٚی کانہہ اکھاہ چھُو نہ عبادتس سزاوارتس وراے اَلْحَيُّ الْقَيُّوْمُ سوٚی چھُو پانہ زِندہ بین سارنی زِندہ تھاوہ وُن لَا تَاْخُذُهٗ سِنَةٌ وَّلَا نَوْمٌ کھسان چھنہ تس نہ پنِک تہ نہ ننِدر۔ یعنی مغلوب چھنہِ تس کران نہ لوٚڑ ننِدر تہ نہ گوب ننِدر لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ تہندُوی چھُو تہِ سورُی یہ آسمانن اندر چھُو بیہ یہ زمینس اندر چھُو مَنْ ذَا الَّذِيْ يَشْفَعُ عِنْدَهٗٓ اِلَّا بِاِذْنِهٖ کس اُکسند طاقت تہ جرات چھُو سوٚ کیا کرہ کانسہِ شخص سُفارِش تس نِشہِ تہندہِ حکمہ تہ اجازتہ وراے۔ يَعْلَمُ مَا بَيْنَ اَيْدِيْهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ سوٚ چھُو پانے زانان مخلوقن ہندِ ساری حالات۔ یم تمن برونٹھہ کُنہ چھہِ بیہ یم تمن پتہ کُنہ چھہ یعنی پوشیدہ تہ نن حالات۔ حاضر و غائب حالات ظاہر و باطن حالات زانہ وُن چھُو سوٚی لہٰذا سفارش کرہ وُن کیاہ چیز ہیکہ تمو حالاتو علاوہ پیش کرِت وَلَا يُحِيْطُوْنَ بِشَيْءٍ مِّنْ عِلْمِهٖٓ اِلَّا بِمَا شَآءَ مخلوق ہیکہ نہ احاطہ کرِت کُنہ چیزس تہندہِ علمہ اندرہ مگر تیژی ہنہِ سیت ایژہَن سوٚ یژھہ۔ حدیث شریفس اندر چھُو کہ حوضِ کوثرس پیٹھ ین مہ پیش کرنہ کینہہ لُوک۔ تمے ین پکناونہ جہنمس کُن۔ بہ دپہ یم چھہِ میانِ یم چھہِ میانِ۔ یم کیازہ نیو کھ جہنمس کُن۔ دپنہ ایِم اِنكَ لَا تَدْرِي مَا أَحْدَثُوا بَعْدَكَ توہہِ نہ حض چھوہ نہ پتہ تمو کیاہ نوورو و توہہ پتہ دینس اندر۔ ڈلتو جماعتو اندرہ چھہِ اکھ جماعتھاہ معتزلہ۔ تم چھہِ اِنکار کران شفاعتس۔ مگر اہلِ سنت و جماعتن ہُند اعتقاد چھُو اللہ تعالیٰ یمن شفاعت کرنکُ اختیار دیہِ تم کرن ضرور شفاعت تہ تہند شفاعت کرہِ اللہ تعالیٰ قبول۔ اللہ تعالیٰ اَن چھُو سانس رسولِ کریمس علیہ وسلم ﷺ وعد کورمُت شفاعتک۔ تم کرن پنہ نسِ اُمتس ضرور شفاعت۔ تمو فرموو حدیث شریفس اندر شَفَاعَتِي لِأَهْلِ الْكَبَائِرِ مِنْ أُمَّتِي میون شفاعت چھُو بڈین گنہگارن ہندہِ خیطرہ میانیو امتیو اندرہ۔ مگر تمِ تہ ہین گوڈہ

شَآءَ ۚ وَسِعَ كُرْسِيُّهُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ ۚ وَلَا يَئُوْدُهٗ حِفْظُهُمَا ۚ وَهُوَ الْعَلِيُّ الْعَظِيْمُ ﴿٢٥٥﴾ لَآ اِكْرَاهَ فِي الدِّيْنِ ۙ قَدْ تَّبَيَّنَ الرُّشْدُ مِنَ الْغَيِّ ۚ فَمَنْ يَّكْفُرْ بِالطَّاغُوْتِ وَيُؤْمِنْ بِاللّٰهِ فَقَدِ اسْتَمْسَكَ

---

الله تعاليٰ اس شفاعت ڪرڻ جي اجازت. چنانچه عرش مجيد جي ٻروٿ کنه ٿيندي دِن تہ دنيا ڪين ستن ڏوهن برابر ڪٽوي سجده. تڪه سجدن منز پرن تم تم حمد وثنا پروردگاره سند. تم نه ڪانسه پرمتِ آسن. ستهِ دوهِ فرماديڪهِ الله تعاليٰ تلوِ حض تهودسرِ مبارڪ سَلْ تُعْطَ وَاشْفَعْ تُشَفَّعْ منگوهزيه منگوتہ کروه عطا. بيهِ ڪُر وشفاعت. تهند شفاعت ڪرواسِ قُبول. امهِ اجازتہ پتہ ڪرن تم اده شِفاعت. مگر يتنسِ چهه واره اکهاه سوچنس قابل. سوگئيه يه ڪهه ڪه ڪانسهِ اکسُند گرشهِ نه ناجايزتہ حرام چيز، ممنوع ڪام ڪرنس پيٺهه يا فرايض تہ واجبات تراونس پيٺهه آماده سپدُن تہ جرأت ڪرن. شفاعتس پيٺهه اعتماد تہ ڀروسه ڪرِت يِتني ڪانهه دپهِ ٻه ڪره تهنز مخالفت تہ نافرماني تم ڪرنم شفاعت يه چهو عقلهِ تہ انصافه نِشهِ سيٺهاه دُور تمهِ علاوه چهُويه محض اکه خيالاه باطِل تہ بے بنياد. الله تعاليٰ چهُو پانه فرماوان قرآن مجيدس اندر وَمَنْ يُّشَاقِقِ الرَّسُوْلَ مِنْۢ بَعْدِ مَا تَبَيَّنَ لَهُ الْهُدٰى وَيَتَّبِعْ غَيْرَ سَبِيْلِ الْمُؤْمِنِيْنَ نُوَلِّهٖ مَا تَوَلّٰى وَنُصْلِهٖ جَهَنَّمَ ۖ وَسَآءَتْ مَصِيْرًا يُس اکهاهِ مخالفت ڪرِه سانس پيغمبره سنز احڪام تس نِشِ واره پاٺهه واتنه پتہ بيهِ ڪره سوٗ پيردي باايمانن هنزه وتہ ورايِ بيهِ کُنه وتہِ هنز. پتهاوون اسِ سوٗ تمي وتہ يؤسه وتهه تم اختيار ڪُر. بيهِ واتناوون اسِ سوٗ جهنمس يوسه سيٺهاه تپهه جاي چهه. وَسِعَ كُرْسِيُّهُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ ويژراوه ڪُرسي تهند پانس منز آسمانس تہ زمينس تيوت چهو بوڈ تہ کهول. حديث شريفس منز چهُو ست آسمان چهه ڪرسيس منز تهي يتهه ست پنيسه چهه بڈس ميدانس منز. عرشس مقابله چهو ڪرسي تهوي يتهه اکهه پنيسه چهو بڈس ميدانس منز. نتہ گو معني احاطه ڪرِت چهُو تُهندُ علم آسمانن تہ زمين وَلَا يَئُوْدُهٗ حِفْظُهُمَا تهڪراوان چهُونه تس يعني دشواري تہ تڪليفس منز چهُنه تراوان تس آسمانن تہ زمين راچهه تہ حفاظت ڪرن وَهُوَ الْعَلِيُّ الْعَظِيْمُ بيهِ چهُو سيٺهاه عالي. تهندس علوس نهايتهاه چهُنه سوٗ چهُو سيٺهاه بوڈ. تهندِس بجرس نهايتهاه چهُنهِ. لَآ اِكْرَاهَ فِي الدِّيْنِ زور تہ زبردستي چهنه دينس اندر قَدْ تَّبَيَّنَ الرُّشْدُ مِنَ الْغَيِّ ڪيازِه ع پزپاٺِ واره نيئو بذاتِ خود بيهِ دليلو سيت. هدايت تہ گمراهي، ايمان تہ ڪفر حق تہ باطِل پوز تہ اُپز فَمَنْ يَّكْفُرْ بِالطَّاغُوْتِ وَيُؤْمِنْ بِاللّٰهِ پس يُس

بِالْعُرْوَةِ الْوُثْقٰى لَا انْفِصَامَ لَهَا وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ﴿٢٥٦﴾

اَللّٰهُ وَلِيُّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا يُخْرِجُهُمْ مِّنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوْرِ ۬ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْۤا اَوْلِيٰٓـُٔهُمُ الطَّاغُوْتُ يُخْرِجُوْنَهُمْ مِّنَ النُّوْرِ اِلَى الظُّلُمٰتِ ۗ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ۚ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٢٥٧﴾

اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْ حَآجَّ اِبْرٰهٖمَ فِيْ رَبِّهٖۤ اَنْ اٰتٰىهُ اللّٰهُ الْمُلْكَ ۘ اِذْ قَالَ اِبْرٰهٖمُ رَبِّيَ الَّذِيْ يُحْيٖ وَيُمِيْتُ ۙ قَالَ اَنَا

---

اکهاه انڪار ڪري باطل ته اڀرين معبودن شيطانن وغيرن اقرار ته پڙهه ڪري ڪنس معبودِ برحقس **فَقَدِ اسْتَمْسَكَ بِالْعُرْوَةِ الْوُثْقٰى** پس بيشڪ تمي ڪر تهپ محڪم گنڈس رزهِ هندِس۔ سو گو حديث قال الله قال رسول الله۔ **لَا انْفِصَامَ لَهَا** يته نه ڏيجر چهوڪنهِ قسمه۔ يوسه نه مڙراونه بيهِ زانهه ته۔ **وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ** الله تعالى چهوسو رُوي بوزه وُن سو رُوي زانه وُن **اَللّٰهُ وَلِيُّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا** الله تعالىٰ چهو دوست ته مددگار ايماندارن هند يمو طاغوتن اِنڪار ڪرِ ته ڪنس خدايس پڙه ڪر **يُخْرِجُهُمْ مِّنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوْرِ** سو چهو تمن ڪُفر چو تاريڪيو منزه ڪڈِت ياِلوب رٹته اسلامڪس نُورس اندر واتناوان **وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْۤا** يمو لوڪو خدايس معبودِ برحقس انڪار ڪور **اَوْلِيٰٓـُٔهُمُ الطَّاغُوْتُ** تهند دوست گے شيطان **يُخْرِجُوْنَهُمْ مِّنَ النُّوْرِ اِلَى الظُّلُمٰتِ** تم چهِ تمن اسلامڪه نوره نشهي ڪڈِت ياِلوب رٹته ڪفر چن تاريڪين اندر واتناوان **اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ۚ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ** تے لوڪه چهِ ناره والِ يته منز تمن هميشه روزُن چهو عذابس گرفتار **اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْ حَآجَّ اِبْرٰهٖمَ فِيْ رَبِّهٖۤ اَنْ اٰتٰىهُ اللّٰهُ الْمُلْكَ** تهٕ وچهونا اے پيغمبريا ژيه وچهنا اے وچهِ ونه تس شخصس ڪُن ليس ناو اوس نمرود۔ يمِ بحث ڪرو حضرت ابراهيمس سيت تهندِس پروردگار اره سندِس وجودس متعلق ڪيازه الله تعالىٰ ان اوُس دتمت ملڪ ته پادشاهت باوجود آس اوس خدايه سندس وجودس منڪر **اِذْ قَالَ اِبْرٰهٖمُ رَبِّيَ الَّذِيْ يُحْيٖ وَيُمِيْتُ** يهِ بحث سپدُ تمهِ وقته يلهِ تم پرژهه حضرت ابراهيمس عليه السلام تهندِس پروردگار سند شان ڪياه چهو۔ حضرت ابراهيمن فرمووس ميوان پروردگار گو سوُي يُس سارني زنده ڪران چهو بيه ماران

أُحْيِۦ وَأُمِيتُ ۖ قَالَ إِبْرَٰهِـۧمُ فَإِنَّ ٱللَّهَ يَأْتِى بِٱلشَّمْسِ مِنَ
ٱلْمَشْرِقِ فَأْتِ بِهَا مِنَ ٱلْمَغْرِبِ فَبُهِتَ ٱلَّذِى كَفَرَ ۗ وَٱللَّهُ
لَا يَهْدِى ٱلْقَوْمَ ٱلظَّـٰلِمِينَ ﴿٢٥٨﴾ أَوْ كَٱلَّذِى مَرَّ عَلَىٰ قَرْيَةٍ وَ
هِىَ خَاوِيَةٌ عَلَىٰ عُرُوشِهَا قَالَ أَنَّىٰ يُحْىِۦ هَـٰذِهِ ٱللَّهُ بَعْدَ
مَوْتِهَا ۖ فَأَمَاتَهُ ٱللَّهُ مِا۟ئَةَ عَامٍ ثُمَّ بَعَثَهُۥ ۖ قَالَ كَمْ لَبِثْتَ ۖ
قَالَ لَبِثْتُ يَوْمًا أَوْ بَعْضَ يَوْمٍ ۖ قَالَ بَل لَّبِثْتَ مِا۟ئَةَ

---

چھو قَالَ أَنَا۠ أُحْيِۦ وَأُمِيتُ نمرودن دوپ به ته چھوس زنده كران ته ماران قَالَ إِبْرَٰهِـۧمُ فَإِنَّ ٱللَّهَ يَأْتِى بِٱلشَّمْسِ مِنَ ٱلْمَشْرِقِ فَأْتِ بِهَا مِنَ ٱلْمَغْرِبِ فرمووس حضرتِ ابراهیمن الله تعالیٰ سنز بیا کھ کام چھه سۆ چھو آفتابس کھاران پریتھ دوہہ مشرقہ کہ طرفہ ژه کھارتن اکہ دوہہ مغربہ کہ طرفہ فَبُهِتَ ٱلَّذِى كَفَرَ پس سپدُ یہ کافرِ نمرود حیران لاجواب تہ کینہہ پھُورسنہ وَٱللَّهُ لَا يَهْدِى ٱلْقَوْمَ ٱلظَّـٰلِمِينَ الله تعالیٰ چھُونہ وتھ ہاوان ظالمن۔ یہ دلیل آس ذاتِ باری تعالیٰ سندِس وجودس پیٹھ۔ امہ پتہ چھُو الله تعالیٰ مرنہ پتہ زنده کرنس پیٹھ زه دلیلہ فرماوان أَوْ كَٱلَّذِى مَرَّ عَلَىٰ قَرْيَةٍ بیہِ وچھُتھا ژ یہ تس شخصس کُن یُس پوک اکہِ شہرہ کنِ وَهِىَ خَاوِيَةٌ عَلَىٰ عُرُوشِهَا سۆ شہر اوس منہدم تہ ویران سپدُمت مکانن ہندِ پِش آس دبہ بیٹھمت تمہِ کین ژکین پیٹھ۔ سۆ پکہ ڈن اوس حضرت عزیر۔ شہر اوس بیت المقدس یُس بخت نصرن اوس ویران تہ تباہ کورمُت۔ امی ویران شہرہِ کن یلہِ حضرتِ عزیر پوک سیت اوُس سواری ہُند کھر بیہ توشہ دانس منز کھینہ چینک چیز قَالَ دپنہِ لوگ پانِ پانس سیت أَنَّىٰ يُحْىِۦ هَـٰذِهِ ٱللَّهُ بَعْدَ مَوْتِهَا کتھہِ سناپاٹھہِ کرہِ الله تعالیٰ یتھہ شہرس آباد (بیہ) امکہ ویرانی پتہ۔ یہ ووْن نہ تمِو ناممکن زانتھ بلکہ ونوکھہ مہ گڑھہ تمِچ کیفیت معلوم سپدنِ فَأَمَاتَهُ ٱللَّهُ مِا۟ئَةَ عَامٍ پس کر الله تعالیٰ ان تہنز زندگی زایل یعنی مار تم الله تعالیٰ ان اکس ہتس ؤرِہس ثُمَّ بَعَثَهُۥ توپتہ کرِن اکہِ ہتہِ وہرِ بیہ زنده توپتہ تلنِ تھود قَالَ پرژھنس پانہ یا ملکہ سندہِ ذریعہ كَمْ لَبِثْتَ ژه کیتس کالس ٹھہر یوک یتنس قَالَ لَبِثْتُ يَوْمًا أَوْ بَعْضَ يَوْمٍ دپن بو ٹھہریوس

عَامٍ فَانْظُرْ اِلٰى طَعَامِكَ وَشَرَابِكَ لَمْ يَتَسَنَّهْ ۚ وَانْظُرْ اِلٰى حِمَارِكَ وَلِنَجْعَلَكَ اٰيَةً لِّلنَّاسِ وَانْظُرْ اِلَى الْعِظَامِ كَيْفَ نُنْشِزُهَا ثُمَّ نَكْسُوْهَا لَحْمًا ؕ فَلَمَّا تَبَيَّنَ لَهٗ ۙ قَالَ اَعْلَمُ اَنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ ﴿٢٥٩﴾ وَاِذْ قَالَ اِبْرٰهٖمُ رَبِّ اَرِنِیْ كَیْفَ تُحْیِ الْمَوْتٰی ؕ قَالَ اَوَلَمْ تُؤْمِنْ ؕ قَالَ بَلٰی وَلٰكِنْ لِّیَطْمَىِٕنَّ قَلْبِیْ ؕ قَالَ فَخُذْ اَرْبَعَةً

غالبًا دوہس یادوہہ خوتہ کم کالس اَڈِس دوہس قَالَ بَلْ لَّبِثْتَ مِائَةَ عَامٍ اللہ تعالیٰ ان فرموس نہ بلکہ گوی ژہ یتنس ٹھہرت اکھ ہت وری فَانْظُرْ اِلٰى طَعَامِكَ وَشَرَابِكَ لَمْ يَتَسَنَّهْ وچھ ون سانِ قدرت۔ ملاحظہ کرپنہ نِس کھین چینس گن۔ یِوت کال گزھِت چھنہ سوٗکنہٖ قسمہ ڈولمت تہ متغیر سپدُمت وَانْظُرْ اِلٰى حِمَارِكَ بیہِ وچھ ژہ پنہ نِس کھرس گن تمِس کیاہ چھو بنیومت اَڈِجہ تانِ چھس دودر یمژہ وَلِنَجْعَلَكَ اٰيَةً لِّلنَّاسِ بیہِ چھو سون مقصد ژہ کروتھ اَسِ لوکن ہندِہ اعتمادہ خیطرہ پننہِ قدرتک اکھ نشانہ وَانْظُرْ اِلَى الْعِظَامِ دون وچھ ژہ یمن کھرہ سنزن اَڈجن گن كَيْفَ نُنْشِزُهَا کتھِ پاٹھِہ ملہِ ناووکھ اسِ تمہ اَڈِجہِ ثُمَّ نَكْسُوْهَا لَحْمًا توپتہ کتھِ پاٹھ ولوٲسِ تمن پیٹھ ماز۔ یہِ چھووچھانی یکدم سپدُ کھر زِندہ توپتہ ووتھ تھوددژن ٹانگ۔ فَلَمَّا تَبَيَّنَ لَهٗ ادہ یلہِ یہ سورُی حال تمِس ننیوو قَالَ اَعْلَمُ اَنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ دِپنہِ لوگ بوچھوس یقین کران کہ بیشک چھو اللہ تعالیٰ پریتھ چیزس پیٹھ قدرتہ وول وَاِذْ قَالَ اِبْرٰهٖمُ رَبِّ اَرِنِیْ كَیْفَ تُحْیِ الْمَوْتٰی بیہِ پاووژ تیس تہہ سُوٗ وقت یلہِ حضرتِ ابراہیمن عرض کور خدایس ای میانہِ پروردگارہ مہ ہاوتہ کتھِ پاٹھِ کرہکھ ژہ مُردہ زندہ قیامتکُ دوہ بوھاوہ ہا میک علم حاصِل گژِ تھ کیازہ خبر چھایہِ کافر نمرودما پرژھِہ اتھ متعلق دوبارہ قَالَ اَوَلَمْ تُؤْمِنْ اللہ تعالیٰ ان فرموس کیاہ ژیہ آئی ناپرژھ ونہِ قَالَ بَلٰی وَلٰكِنْ لِّیَطْمَىِٕنَّ قَلْبِیْ دِپُن گژھمنا پرژھہِ ین مگر امہِ عرض کرنہ اندرہ چھو میون مطلب یُتھ میون دلِ مطمئن سپدِت چانین دشمن سیت بحث کرنہ خیطرہ قوی سپدِہ۔

مِّنَ الطَّيْرِ فَصُرْهُنَّ اِلَيْكَ ثُمَّ اجْعَلْ عَلٰى كُلِّ جَبَلٍ مِّنْهُنَّ جُزْءًا ثُمَّ ادْعُهُنَّ يَاْتِيْنَكَ سَعْيًا ؕ وَاعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿۲۶۰﴾ مَثَلُ الَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ اَمْوَالَهُمْ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ كَمَثَلِ حَبَّةٍ اَنْۢبَتَتْ سَبْعَ سَنَابِلَ فِىْ كُلِّ سُنْۢبُلَةٍ مِّائَةُ حَبَّةٍ ؕ وَاللّٰهُ يُضٰعِفُ لِمَنْ يَّشَآءُ ؕ وَاللّٰهُ وَاسِعٌ عَلِيْمٌ ﴿۲۶۱﴾ اَلَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ اَمْوَالَهُمْ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ثُمَّ لَا يُتْبِعُوْنَ مَآ اَنْفَقُوْا

---

قَالَ اللہ تعالیٰ ان فرمووُس فَخُذْ اَرْبَعَةً مِّنَ الطَّيْرِ پس رٹکُ ژہ ژور جانور۔ مور، کوکُر، کوتُر تہ کاو فَصُرْهُنَّ اِلَيْكَ پس رچھُکھ کینہہ کالاہ پانس نشہِ۔ وارہ تھاوُکھ وُنہِ۔ توپتہ مارُکھ۔ کلہ تہند تھاوالگ۔ بدنن تہندین کرکُفتہ۔ تہند ماز ملہ ناواکھ اکس سیت۔ ثُمَّ اجْعَلْ عَلٰى كُلِّ جَبَلٍ مِّنْهُنَّ جُزْءًا توپتہ تھاو پرِیتھ کوہس پیٹھ تہندہ ملناومتہ مازہ اندرہ اکھ اکھ حصہِ۔ ثُمَّ ادْعُهُنَّ يَاْتِيْنَكَ سَعْيًا توپتہ دِہ تمن آلوَ۔ تِم ییٚنَ ژیہ نِش دوران دوران وَاعْلَمْ اَنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ توپتہ زان ژہ بیشک اللہ تعالیٰ چھُو پرِیتھ چیزس پیٹھ قدرتہ وول۔ حکمتہ وول مَثَلُ الَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ اَمْوَالَهُمْ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ مِثال تمن لوکن ہنز یم خرچ چھِ کران مال پنُن خدایہِ سنزِہ وتہِ اندر كَمَثَلِ حَبَّةٍ اَنْۢبَتَتْ سَبْعَ سَنَابِلَ تمہِ پھلیچ مثال یتھ نیران چھِ زمینس منزِ وو تھ ستھ ہیل فِىْ كُلِّ سُنْۢبُلَةٍ مِّائَةُ حَبَّةٍ پرِیتھ ہیلس چھِ آسان ہتھ ہتھ پھلِ وَاللّٰهُ يُضٰعِفُ لِمَنْ يَّشَآءُ امہِ علاوہ چھُو اللہ تعالیٰ ہُرہ راوان یسِدہ خیطرہ یژھان چھُو وَاللّٰهُ وَاسِعٌ عَلِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو وسعتہ وول تس چھنہ کُنہِ چیزِچ کمی۔ اللہ تعالیٰ چھُو رُت زانَن وول۔ تس چھُو معلوم کمسنز کرِتھ نیت چھِ۔ تمی نیتہ موجُب چھُو سُہ وسعت عطا کران اَلَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ اَمْوَالَهُمْ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ثُمَّ لَا يُتْبِعُوْنَ مَآ اَنْفَقُوْا مَنًّا وَّلَآ اَذًى تم لوکھ ئِم خرچ چھِ کران مال پنُن خدایہِ سنزِہ وتہِ اندر توپتہ چھِنہِ پتہ تمِس رٹہ وِنس پیٹھ احسان تہ منت تھاوان نہَ چھِس کُنھہِ رنگِ اذا واتناوان لَهُمْ اَجْرُهُمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ تہنز مزور چھُوَ امہِ خرچ کرنچ تہندِس پروردگارس نِش وَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ بیہ آسہِ نہ تمن

مَنًّا وَّلَآ اَذًىۙ لَّهُمْ اَجْرُهُمْ عِنْدَ رَبِّهِمْۚ وَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ
وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ ﴿۲۶۲﴾ قَوْلٌ مَّعْرُوْفٌ وَّمَغْفِرَةٌ خَيْرٌ مِّنْ صَدَقَةٍ
يَّتْبَعُهَآ اَذًىؕ وَاللّٰهُ غَنِيٌّ حَلِيْمٌ ﴿۲۶۳﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا
تُبْطِلُوْا صَدَقٰتِكُمْ بِالْمَنِّ وَالْاَذٰىۙ كَالَّذِيْ يُنْفِقُ مَالَهٗ
رِئَآءَ النَّاسِ وَلَا يُؤْمِنُ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِؕ فَمَثَلُهٗ كَمَثَلِ
صَفْوَانٍ عَلَيْهِ تُرَابٌ فَاَصَابَهٗ وَابِلٌ فَتَرَكَهٗ صَلْدًاؕ لَا يَقْدِرُوْنَ
عَلٰى شَيْءٍ مِّمَّا كَسَبُوْاؕ وَاللّٰهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْكٰفِرِيْنَ ﴿۲۶۴﴾

---

کا نہ خوفاہ قیامتَ ڏوہ نہ آسہِ تِمن کا نہ غماہ قَوْلٌ مَّعْرُوْفٌ وَّمَغْفِرَةٌ خَيْرٌ مِّنْ صَدَقَةٍ يَّتْبَعُهَآ اَذًى رڱڪھہ وٽن سائیلس بیہِ درگذر کرن یہ چھُو بہتر تمہِ خیراتہ کھوتہ یتھہ پتہ کُنھِہ رنگ تکلیف تہ اِزاہ آسہ وَاللّٰهُ غَنِيٌّ حَلِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو آسن وول تہ بیہِ ژیڈ ہینہ وول۔ جلد چھونہ رٹان تہ گرفتار کران سائیلس تکلیف تہ ازاوا تناوہ ونین۔ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تُبْطِلُوْا صَدَقٰتِكُمْ بِالْمَنِّ وَالْاَذٰى ای باایمانو مہ کرِو خیرات پنُن برباد منت تہ احسان تھاونہ سیت۔ بیہ پامہ تہ اِزاہ دنہ سیت كَالَّذِيْ يُنْفِقُ مَالَهٗ رِئَآءَ النَّاسِ تس شخصہ سندِ ماڈھِ یُس مال پنُن خرچ کران چھُو لوکن ہاونہ خیطرہ وَلَا يُؤْمِنُ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ بیہ چھُو نہ سوٗ پزھہ کران کُنس خدایس تہ پتمس دوہس یعنی قیامتس فَمَثَلُهٗ كَمَثَلِ صَفْوَانٍ عَلَيْهِ تُرَابٌ پس چھہ تہنز مثال تمہِ پشاجہِ کنہِ ہنز یتھہ پیٹھ میژ آسہِ لارِتھ فَاَصَابَهٗ وَابِلٌ فَتَرَكَهٗ صَلْدًا تتھہ پیہِ گٹل رُود۔ سو میژ ایس چھلنہ پس تھاوِہ اتھہ کنہِ چھلتھہ چھوکتھہ ترٛشھی یرٛتھہ آس۔ تموٗ اتھہ کنہِ ہنزِہ میژِہ پیٹھ کینہہ وومُت آسہِ لَا يَقْدِرُوْنَ عَلٰى شَيْءٍ مِّمَّا كَسَبُوْا تِم ہیکن نہ کانہہ چیزے حاصِل کٔرِتھ تمہِ منزہ یہ تموٗ وومُت آسہِ۔ یتھے پاٹھِ تِم خرچ کٔرِتھ منت تھاون یا کرن خرچ تھیکنہ تہ لوکن ہاونہ خیطرہ تِمن چھُونہ تتھہ خرچ کرنس کانہہ ثواباہ تہ مزُوریاہ وَاللّٰهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْكٰفِرِيْنَ اللہ تعالیٰ چھُونہ وتھہ ہاوان کافرِن وَمَثَلُ الَّذِيْنَ

وَمَثَلُ الَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ اَمْوَالَهُمُ ابْتِغَآءَ مَرْضَاتِ اللّٰهِ وَ
تَثْبِيْتًا مِّنْ اَنْفُسِهِمْ كَمَثَلِ جَنَّةٍۭ بِرَبْوَةٍ اَصَابَهَا وَابِلٌ
فَاٰتَتْ اُكُلَهَا ضِعْفَيْنِ ۚ فَاِنْ لَّمْ يُصِبْهَا وَابِلٌ فَطَلٌّ ؕ وَاللّٰهُ
بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ ﴿۲۶۵﴾ اَيَوَدُّ اَحَدُكُمْ اَنْ تَكُوْنَ لَهٗ جَنَّةٌ مِّنْ
نَّخِيْلٍ وَّاَعْنَابٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ ۙ لَهٗ فِيْهَا مِنْ كُلِّ
الثَّمَرٰتِ ۙ وَاَصَابَهُ الْكِبَرُ وَلَهٗ ذُرِّيَّةٌ ضُعَفَآءُ ۚۖ فَاَصَابَهَآ
اِعْصَارٌ فِيْهِ نَارٌ فَاحْتَرَقَتْ ؕ كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ

---

وون گیہِ مِثال تِمن لوکن ہنز یم خرچ کران يُنْفِقُوْنَ اَمْوَالَهُمُ ابْتِغَآءَ مَرْضَاتِ اللّٰهِ وَتَثْبِيْتًا مِّنْ اَنْفُسِهِمْ
چھِہ مال پُنن خدایہِ سنٛدٕ رضا ژھانڈنہ خیطرٕ ہ بیہ پنہ نین پانن ہنٛدٕ اعتقاد یقین صدقات و خیراتہ کِس ثوابس
متعلق مضبوط تہٕ پختہ کرنہ خیطرٕ ہ كَمَثَلِ جَنَّةٍۭ بِرَبْوَةٍ تِمہِ باغٕچ مِثال یُس تھزرس پیٹھ آسہِ تِمیُک زمین
سیٹھاہ رُت آسہِ اَصَابَهَا وَابِلٌ فَاٰتَتْ اُكُلَهَا ضِعْفَيْنِ تتھ آسہ پیوان گُٹل رُود تِمہِ سیت تتھ دوگن
میوہ نیران آسہ فَاِنْ لَّمْ يُصِبْهَا وَابِلٌ فَطَلٌّ ہرگاہ گُٹل رُود پیِٚس نہ تہِ نہ توتہِ چھُو تتھ نیُک نیُک رُود پیوٚنوی
کافی سپدان رُت زمین آسنہ مُوکھ۔ یتھے پاٹھ چھُو اللہ تعالیٰ باایمان بندن صدقات و خیراتن بڈِ نفع تہٕ فائدہ
عطا کران وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ یہِ کنیژ ہاہ تہٕ کران چھِوہ تہِ سورُی چھُوہ اللہ تعالیٰ وچھان
اَيَوَدُّ اَحَدُكُمْ اَنْ تَكُوْنَ لَهٗ جَنَّةٌ مِّنْ نَّخِيْلٍ وَّاَعْنَابٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ کیاہ توہہ اندرٕ چھا کانسہِ
یہِ کتھ پسند کہ تس کیا آسہِ باغاہ، خضر گلین تہٕ دچھِ راٹھن ہنٛد تموے کُلیو منز آسن جویہ پکان لَهٗ فِيْهَا مِنْ
كُلِّ الثَّمَرٰتِ اُمس شخص آسن اتھ باغس منز پرتھ کُنہِ قسمک میوہ وَاَصَابَهُ الْكِبَرُ وَلَهٗ ذُرِّيَّةٌ ضُعَفَآءُ
اُمسِ شخص آسہِ بُجرُک وقت آمُت بیہ آسہِ اُمسِ خام عیال فَاَصَابَهَآ اِعْصَارٌ فِيْهِ نَارٌ فَاحْتَرَقَتْ
توٚ پتہ واتہِ اتھ باغس اُمسنٛدس تنٛد واواہ یتھ سیت نار تہٕ آسہِ یعنی نارِ سموم امی سیت پیہ یہ باغ دزِتھ۔ یہی

الْاٰیٰتِ لَعَلَّكُمْ تَتَفَكَّرُوْنَ ﴿٢٦٦﴾ یٰٓاَیُّهَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْٓا اَنْفِقُوْا مِنْ طَیِّبٰتِ مَا كَسَبْتُمْ وَمِمَّآ اَخْرَجْنَا لَكُمْ مِّنَ الْاَرْضِ ۪ وَلَا تَیَمَّمُوا الْخَبِیْثَ مِنْهُ تُنْفِقُوْنَ وَلَسْتُمْ بِاٰخِذِیْهِ اِلَّآ اَنْ تُغْمِضُوْا فِیْهِ ؕ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ غَنِیٌّ حَمِیْدٌ ﴿٢٦٧﴾ اَلشَّیْطٰنُ یَعِدُكُمُ الْفَقْرَ وَیَاْمُرُكُمْ بِالْفَحْشَآءِ ۚ وَاللّٰهُ

---

کیفیت چھہ بنان نیکین پیٹھ احسان تہٕ منّت تھاونہ سیت۔ اذہ تہٕ پامہ دِنہ سیت۔ ریا کرنہ سیت۔ كَذٰلِكَ یُبَیِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ الْاٰیٰتِ لَعَلَّكُمْ تَتَفَكَّرُوْنَ تِتھے پاٹھہ چھُو اللہ تعالیٰ ویٚژھہ ناوان توہہِ پنٕنِ آیات۔ یُتھہ تہٕ غور و فکر کٔرِتھ پنٕنِ صدقات و خیرات منّت تہٕ احسان تھاونہ سیت۔ اِذا تہٕ پامہ دنہ سیت، لوکن ہاونہ سیت ضایع تہٕ تباہ کران آسونہ یٰٓاَیُّهَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْٓا اَنْفِقُوْا مِنْ طَیِّبٰتِ مَا كَسَبْتُمْ ای بایمانو خرچ آسِو کران رژن کامین اندر۔ تمہِ اندرہ رتِ رتِ چیزِ یِہ تہٕ زینان تہٕ کماوان چھِوہ وَمِمَّآ اَخْرَجْنَا لَكُمْ مِّنَ الْاَرْضِ بیہِ رتِ رت چیز تمہِ اندرہ یِہ اَسہِ زمینہ اندرہ تہندِہ خیطرہ کھور۔ وَلَا تَیَمَّمُوا الْخَبِیْثَ بیہِ مَہ آسِو ردّی تہٕ خراب چیزن ہُند قصد کران مِنْهُ تُنْفِقُوْنَ تمی ردی چیزہ منزہ آسِہو خرچ کران ردی تہٕ کھوٹ چیز آسہو ژارِت تہٕ الگ کڈِت تھاوان خدایہِ سندِہ خیطرہ دِنس کُیت۔ یہ گوپست ہمت لاگُن۔ کھوٹِ پانسہ۔ کھوچہِ روپیہ۔ کھوٹ پھُٹہ ووٹ یا دزمٕژہ ژوچہِ۔ دودر یومُت غلہ مَہ آسِو خدایہِ سنزہِ وَتہِ دِوان وَلَسْتُمْ بِاٰخِذِیْهِ حالانکہِ تہٕ چھِوہ نہ سوی چیز پانس رٹہ ونِ کُنہ صورتس اندر اِلَّآ اَنْ تُغْمِضُوْا فِیْهِ مگرے کُنہ ساتہ اچھہِ ٹُوتھہ تتھہ اندر سہل انگاری کرو تہٕ ٹُل گژھیو۔ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ غَنِیٌّ حَمِیْدٌ وارہ زانوِ یہ کتھہ کہ اللہ تعالیٰ چھُو بے نیاز حمد دینہ آمُت تعریف کرنہ آمُت۔ تمِس چھُونہ تہُندین ردّی مالن ہنز ضرور تھی۔ سُو چھُو نہ راضی سپدان کھوٹیو دیارو سیت۔ سُو گژھہا خوش فقیرس مسکینس حاجت نیرنہ سیت۔ تمِس یلہِ نہ کھوٹ پونسہ کُنہِ چلیو تمِس کیاہ حاجت دراوٕ اَلشَّیْطٰنُ یَعِدُكُمُ الْفَقْرَ وَیَاْمُرُكُمْ بِالْفَحْشَآءِ شیطان چھُوہ توہہِ کھوژہ ناوان محتاج سپدنس۔ بیہ چھُوہ امر کران توہہ بچھہ

يَعِدُكُم مَّغْفِرَةً مِّنْهُ وَفَضْلًا ۗ وَاللَّهُ وَاسِعٌ عَلِيمٌ ﴿٢٦٨﴾ يُؤْتِي الْحِكْمَةَ مَن يَشَاءُ ۚ وَمَن يُؤْتَ الْحِكْمَةَ فَقَدْ أُوتِيَ خَيْرًا كَثِيرًا ۗ وَمَا يَذَّكَّرُ إِلَّا أُولُو الْأَلْبَابِ ﴿٢٦٩﴾ وَمَا أَنفَقْتُم مِّن نَّفَقَةٍ أَوْ نَذَرْتُم مِّن نَّذْرٍ فَإِنَّ اللَّهَ يَعْلَمُهُ ۗ وَمَا لِلظَّالِمِينَ مِنْ أَنصَارٍ ﴿٢٧٠﴾ إِن تُبْدُوا الصَّدَقَاتِ فَنِعِمَّا هِيَ ۖ وَإِن تُخْفُوهَا وَتُؤْتُوهَا الْفُقَرَاءَ فَهُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ ۚ وَيُكَفِّرُ عَنكُم

---

کامين هُند يعني بخلکُ وَاللَّهُ يَعِدُكُم مَّغْفِرَةً مِّنْهُ وَفَضْلًا الله تعالیٰ ڇھُوه توهِ صدقه و خيرات پيٺھ وعده کران پنهِ بڈهِ مغفرتکُ بيه رزقس اندروَ سعتکُ وَاللَّهُ وَاسِعٌ عَلِيمٌ الله تعالیٰ ڇھُوپانه آسن وول سورُی زانن وڈول يُؤْتِي الْحِكْمَةَ مَن يَشَاءُ عقل ودانائی ڇھُو عطا کران يَس يژهان ڇھُو تس وَمَن يُؤْتَ الْحِكْمَةَ فَقَدْ أُوتِيَ خَيْرًا كَثِيرًا يَس اَکس عقل ودانائی اَیه عطا کرنه بيشک تس آو عطا کرنه خير کثير۔ يعني واریاه خير وَمَا يَذَّكَّرُ إِلَّا أُولُو الْأَلْبَابِ نصيحت ڇھنهِ قبول کران مگر عقله والی وَمَا أَنفَقْتُم مِّن نَّفَقَةٍ أَوْ نَذَرْتُم مِّن نَّذْرٍ فَإِنَّ اللَّهَ يَعْلَمُهُ بيهِ یه کنشِر هاه تهٕ خرچ کُرِوه یا نذر تھووه کانه نذراه پس ڇھُو الله تعالیٰ تهِ سورُی زانان وَمَا لِلظَّالِمِينَ مِنْ أَنصَارٍ ڇھُونه ظالمن هندهِ خيطره کانه مددگاراه تِمِ بخلهُ سيت۔ اِحسان تھاونه سيت، ازادنه سيت، لوکن هاونه ته تھيکنه سيت خير اَنِکهِ ثوابه نِشهِ پنه نين پانن محروم کرن یا تِمِ حرام ماله سيت خيرات کرن۔ یا يم نذر ناجائز تھاون غير الله يعني خُدا ايس ورای مخلوقن هندهِ خيطره یا تِمِ جائز نظرن وفا کرن نه إِن تُبْدُوا الصَّدَقَاتِ فَنِعِمَّا هِيَ وَإِن تُخْفُوهَا وَتُؤْتُوهَا الْفُقَرَاءَ فَهُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ هرگاه تُوهِ پننِ صدقاتن پاٹھه دِیو تهِ گو سیٹھاه جان۔ مگر هرگاه لوتهِ پاٹھهِ ته ژوره پاٹھه دِیو بیه دیو فقيرن سُو ڇھُو ژور بهترن پاٹھهِ ته آسن والين

مِّنْ سَيِّاٰتِكُمْ ؕ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ ﴿٢٧١﴾ لَيْسَ
عَلَيْكَ هُدٰىهُمْ وَلٰكِنَّ اللّٰهَ يَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ ؕ وَمَا
تُنْفِقُوْا مِنْ خَيْرٍ فَلِاَنْفُسِكُمْ ؕ وَمَا تُنْفِقُوْنَ اِلَّا
ابْتِغَآءَ وَجْهِ اللّٰهِ ؕ وَمَا تُنْفِقُوْا مِنْ خَيْرٍ يُّوَفَّ اِلَيْكُمْ
وَاَنْتُمْ لَا تُظْلَمُوْنَ ﴿٢٧٢﴾ لِلْفُقَرَآءِ الَّذِيْنَ اُحْصِرُوْا فِيْ
سَبِيْلِ اللّٰهِ لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ ضَرْبًا فِي الْاَرْضِ يَحْسَبُهُمُ

---

دِنہ خوتہ۔ فرضک صدقے آسہِ زکوٰۃ وغیرہ ہیو سُونِ پاٹھہِ دِنُن چھُو بہتر یُتھہ بیس تہِ رغبت پادہ سپدہ۔ ہر گاہ نفلکُ صدقہ آسہِ سُو چھُو پوشیدہ پاٹھی دِنُن بہتر یتھہ ریالبنہ یِیہ۔ وَيُكَفِّرُ عَنْكُمْ مِّنْ سَيِّاٰتِكُمْ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ امہِ سببہ تہٚندین بعضی گُنہن بخشایش تہ درگذر کران۔ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ پورہ زانان یہِ تُہِہ کران چھِوہ لَيْسَ عَلَيْكَ هُدٰىهُمْ وَلٰكِنَّ اللّٰهَ يَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ توہہِ نہ حض چھُوہ مٹہِ یا رسول اللہ تِمِ کافر راہِ راستس پیٹھ انِن۔ مگر اللہ تعالیٰ ہی یُس یژھہِ تس کرہِ ہدایت وَمَا تُنْفِقُوْا مِنْ خَيْرٍ فَلِاَنْفُسِكُمْ تُہہ یُس مالاہ خرچ کرو خدلیہ سندہِ خیطرہ تمیُک فائدہ چھُوہ توہہِ پانس وَمَا تُنْفِقُوْنَ اِلَّا ابْتِغَآءَ وَجْهِ اللّٰهِ توہہِ چھِوہ نہ خرچ کران خدایہِ سُندی رضا حاصلِ کرنہ خیطرہ وَمَا تُنْفِقُوْا مِنْ خَيْرٍ يُّوَفَّ اِلَيْكُمْ وَاَنْتُمْ لَا تُظْلَمُوْنَ تُہہ یہ کینژھا خرچ کرِو وِپنہِ مالہ اندرہ تمُک ثواب تہ بدلہ ایہ توہہِ عطا کرنہ۔ توہہِ کُنہِ قسمُک ظُلم یِیہ نہ کرنہ۔ تہٚند حق یِیہ نہ ضائع کرنہ۔ لِلْفُقَرَآءِ الَّذِيْنَ اُحْصِرُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ خیرات گژھہِ دُین تمنِ فقیرن یِمِ بند آسَن کرنہ آمتِ خدلیہ سنزہِ وتہِ اندر یعنی تہند وقت آسن مصروف دینہ چن تمنی کامین اندر یمن اندر عام لوکن ہندہِ خیطرہ بہتری آسہ۔ سُو گو جہاد ہیُو، تبلیغ ہیو طلب علمِ دین ہیو۔ یِمِ چھہِ مصارف صدقا تو اندرہ بہتر مصرف لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ ضَرْبًا فِي الْاَرْضِ یِم نہ تمی سببہ آسن ہیکان اورہ یور پھیرتھ رزق کماونہ خیطرہ يَحْسَبُهُمُ الْجَاهِلُ اَغْنِيَآءَ مِنَ التَّعَفُّفِ ناواقف لُوکھ آسن تمن مالدار زانان۔ تہندہِ سوالہ نشہِ پتھہ روزنکہِ سبب تَعْرِفُهُمْ بِسِيْمٰهُمْ ژہ پرزناوِہکھ تِم تہندہِ بُتھکہ علامتہ

الْجَاهِلُ اَغْنِيَآءَ مِنَ التَّعَفُّفِ ۚ تَعْرِفُهُمْ بِسِيْمٰهُمْ ۚ
لَا يَسْـَٔلُوْنَ النَّاسَ اِلْحَافًا ؕ وَمَا تُنْفِقُوْا مِنْ خَيْرٍ
فَاِنَّ اللّٰهَ بِهٖ عَلِيْمٌ ﴿۲۷۳﴾ اَلَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ اَمْوَالَهُمْ
بِالَّيْلِ وَالنَّهَارِ سِرًّا وَّعَلَانِيَةً فَلَهُمْ اَجْرُهُمْ
عِنْدَ رَبِّهِمْ ۚ وَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ ﴿۲۷۴﴾
اَلَّذِيْنَ يَاْكُلُوْنَ الرِّبٰوا لَا يَقُوْمُوْنَ اِلَّا كَمَا يَقُوْمُ الَّذِيْ
يَتَخَبَّطُهُ الشَّيْطٰنُ مِنَ الْمَسِّ ؕ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ قَالُوْٓا اِنَّمَا الْبَيْعُ

---

سیت یعنی فاقہ گی ہندِ سبب آسن تہندِ بُتھِ زرد۔ لَا يَسْـَٔلُوْنَ النَّاسَ اِلْحَافًا تم آسن نہ لوکن منگان چھپر
لاگت وَمَا تُنْفِقُوْا مِنْ خَيْرٍ یہ کینژ ھاہ تُہہ خرچ کرِ و مالہ اندرہ یمن مسکینن پیٹھ یمن منز یم پانژھ
صفت موجود آسن فَاِنَّ اللّٰهَ بِهٖ عَلِيْمٌ پس اللہ تعالیٰ اَس چھُو تِہ سوُری معلوم اَلَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ
اَمْوَالَهُمْ بِالَّيْلِ وَالنَّهَارِ سِرًّا وَّعَلَانِيَةً تِم لوکھ مال پُنُن خرچ کران چھ رات کیُت یاد وہلہِ
لوت پاٹھہ یانِ پاٹھہ فَلَهُمْ اَجْرُهُمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ تہندِہ خیطرہ چھ تہنز مزور پروردگارس نِش وَلَا
خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ بیہ آسہ نہ تِمنِ کانہہ خوفاہ نہ کانہہ غماہ اَلَّذِيْنَ يَاْكُلُوْنَ الرِّبٰوا تِم
لُوکھ سُود کھیوان چھ لَا يَقُوْمُوْنَ اِلَّا كَمَا يَقُوْمُ الَّذِيْ يَتَخَبَّطُهُ الشَّيْطٰنُ مِنَ الْمَسِّ تِم وو تھن نہ قیامچہ
دوہہ قبرو منزہ مگر تس شخصہ سندِ پاٹھہِ یُس زورہ ژنڈ آسہِ دژمژ شیطانن یمی سیت آسیس دماغ خراب
گومت یعنی سیتہ لدہی ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ قَالُوْٓا اِنَّمَا الْبَيْعُ مِثْلُ الرِّبٰوا یہ سزا آسہِ تِمنِ امی موُکھ کہ تِموَ کیا
دوُپ ہیون کُنن تہِ چھُو بیازِی ہیو وَاَحَلَّ اللّٰهُ الْبَيْعَ وَحَرَّمَ الرِّبٰوا حالانکہ اللہ تعالیٰ اَن چھُو ہیون کُنن
حلال کورمت۔ سوُد چُھن حرام کورمُت حلال و حرام کرنک اختیارہ وول چھُو سوُی یوت فَمَنْ جَآءَهٗ
مَوْعِظَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ فَانْتَهٰى پس یُس اَکس ووت پنہ نِس پروردگارہ سندِہ طرفہ نصیحتُک کلام۔ تو پتہ رود

مِثْلُ الرِّبٰوا ۘ وَاَحَلَّ اللّٰهُ الْبَيْعَ وَحَرَّمَ الرِّبٰوا ۭ فَمَنْ جَاۗءَهٗ مَوْعِظَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ فَانْتَهٰى فَلَهٗ مَا سَلَفَ ۭ وَاَمْرُهٗٓ اِلَى اللّٰهِ ۭ وَمَنْ عَادَ فَاُولٰۗىِٕكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ۚ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٢٧٥﴾ يَمْحَقُ اللّٰهُ الرِّبٰوا وَيُرْبِي الصَّدَقٰتِ ۭ وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ كُلَّ كَفَّارٍ اَثِيْمٍ ﴿٢٧٦﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَاَقَامُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتَوُا الزَّكٰوةَ لَهُمْ اَجْرُهُمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ ۚ وَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ ﴿٢٧٧﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّقُوا

---

سوامہ سود کہ معاملہ نشہِ پتھہ فَلَهٗ مَا سَلَفَ وَاَمْرُهٗٓ اِلَى اللّٰهِ پس یہ کنیڑ ھاہ پتھہ کن گذریو وتہ گو تھند وی مِلک۔ فیصلہ تھُند کرپانہ خدا وَمَنْ عَادَ تِم لُوکھ خدایہ سندِ حُکم بوزِتھہ بیہ دوبارہ کرن زانتھہ کُرِ تھہ سوُدُک معاملہ فَاُولٰۗىِٕكَ اَصْحٰبُ النَّارِ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ تِمے لوکھ گے دوزخی تِم روزن تتھہ دوزخس منز ہمیشہ کیازِہ تِمو کور خدایِہ سند حُکم نظر انداز يَمْحَقُ اللّٰهُ الرِّبٰوا وَيُرْبِي الصَّدَقٰتِ گالان چھُو اللہ تعالیٰ سوٗدس سود کین دیارن چھَنہ کانہہ برکتھاہ ہُر راوان چھُو اللہ تعالیٰ خیراتس۔ اَکس چھُو اللہ تعالیٰ دٖہہ گن تہ ساسہ گن ہیچھہ گن تہِ دِوان وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ كُلَّ كَفَّارٍ اَثِيْمٍ اللہ تعالیٰ اَس چھُونہ پسند کُہنی ناسُپاس بندہ یُس سوٗدس حلال آسہِ زانان کُہنے مُجرم بندہ یُس سوٗدہ کِس معاملس پیٹھہ ڈاڈ آسہِ کُرِت اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَاَقَامُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتَوُا الزَّكٰوةَ پزِ پاٹھِ یِمو لوگو ایمان اون بیہِ کریکھہ رژہ عملہ بیہ تھاوکھ نماز برپا۔ بیہ دِژک مالِچ زکوٰۃ لَهُمْ اَجْرُهُمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ وَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ پس تھندِہ خیطرہ چھہ تھنز مزورِ تھندس پروردگارس نشہِ بیہ آسہِ نہ تِمن کانہہ خوفاہ بیہِ نہ کانہہ غماہ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّقُوا اللّٰهَ وَذَرُوْا مَا بَقِيَ مِنَ الرِّبٰوٓا اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ای باایمانو کھوژِو خدایس بیہِ تراوِو سوٗر قم یُس باقی آسِوہ رُودمُت سوُدُک لُوکن نشہِ چھُوے تُہہ پزِ پاٹھِہ باایمان

اللّٰهَ وَذَرُوْا مَا بَقِيَ مِنَ الرِّبٰوٓا اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ﴿٢٧٨﴾ فَاِنْ
لَّمْ تَفْعَلُوْا فَاْذَنُوْا بِحَرْبٍ مِّنَ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ ۚ وَاِنْ تُبْتُمْ
فَلَكُمْ رُءُوْسُ اَمْوَالِكُمْ ۚ لَا تَظْلِمُوْنَ وَلَا تُظْلَمُوْنَ ﴿٢٧٩﴾ وَاِنْ
كَانَ ذُوْ عُسْرَةٍ فَنَظِرَةٌ اِلٰى مَيْسَرَةٍ ۗ وَاَنْ تَصَدَّقُوْا خَيْرٌ
لَّكُمْ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿٢٨٠﴾ وَاتَّقُوْا يَوْمًا تُرْجَعُوْنَ فِيْهِ
اِلَى اللّٰهِ ۖ ثُمَّ تُوَفّٰى كُلُّ نَفْسٍ مَّا كَسَبَتْ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ ﴿٢٨١﴾ ع
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا تَدَايَنْتُمْ بِدَيْنٍ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى

---

**فَاِنْ لَّمْ تَفْعَلُوْا فَاْذَنُوْا بِحَرْبٍ مِّنَ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ** پس ہر گاہ سودہ نشہِ پتھہ رُدِزونہ تلہِ روزِو خبردار تہ تیار جنگ کرنہ خیطرہ خدایس تہ تہندِس رسولس سیت **وَاِنْ تُبْتُمْ فَلَكُمْ رُءُوْسُ اَمْوَالِكُمْ** ہر گاہ تُہہ توبہ کروسوٗدہ نشہِ پتھہ روزِو تلہ ایوہ اصل رقم واپس دنہ **لَا تَظْلِمُوْنَ وَلَا تُظْلَمُوْنَ** نہ مہ کرِو تُہہ کانسہِ پیٹھہ ظُلم۔ نہ ییہِ توہہِ پیٹھہ کانہہ ظُلم کرنہ **وَاِنْ كَانَ ذُوْ عُسْرَةٍ** اگر قرضدار آسہِ تنگدست **فَنَظِرَةٌ اِلٰى مَيْسَرَةٍ** تس گژھہ پیارُن یوتانِ تس وُسعت بنہِ **وَاَنْ تَصَدَّقُوْا خَيْرٌ لَّكُمْ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ** وونِ ہے تُہہ سوٗر قم صدقس پیٹھہ تس قرضدارس تراوِتہ چھُو تُہندہ خیطرہ بہتر۔ ہر گاہے توہہِ تمُیک ثواب معلوٗم آسہِ ہایاہر گاہے تُہہ مناسِب زانِو۔ **وَاتَّقُوْا يَوْمًا تُرْجَعُوْنَ فِيْهِ اِلَى اللّٰهِ** بیہ کھوژِو تتھہ دوہَس یمہِ دوہہ تُہہ واتناونہ ایِو خدایس برونٹھہ کُن **ثُمَّ تُوَفّٰى كُلُّ نَفْسٍ مَّا كَسَبَتْ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ** تو پتہ ییہِ پرِیتھہ اکس تمہِ ساری نیک وبدُک بدلہ پورہ دِنہ یہِ تم کورمُت آسہِ۔ بیہ ییہ نہ تمن بہ ہیچ وجہ کُنہِ قسمہ ظُلم کرنہ **يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا تَدَايَنْتُمْ بِدَيْنٍ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى فَاكْتُبُوْهُ** ای باایمانو تُہہ یلہِ قرضُک لین دین آسِو کران کُنہِ خاص مقرر مدُتس تانِ، پس آسِو لیکھان **وَلْيَكْتُبْ بَّيْنَكُمْ كَاتِبٌ ۢ بِالْعَدْلِ** بیہِ لیکھن یہِ کاغذ توہہ اندرہ کانہہ لیکھن وولاہ پوز پوٗز۔ یُس نہ کمی یازیادتی کرہِ رقمس اندریا

فَاكْتُبُوْهُ ۭ وَلْيَكْتُبْ بَّيْنَكُمْ كَاتِبٌۢ بِالْعَدْلِ ۠ وَلَا يَاْبَ كَاتِبٌ اَنْ
يَّكْتُبَ كَمَا عَلَّمَهُ اللّٰهُ فَلْيَكْتُبْ ۚ وَلْيُمْلِلِ الَّذِيْ عَلَيْهِ الْحَقُّ
وَلْيَتَّقِ اللّٰهَ رَبَّهٗ وَلَا يَبْخَسْ مِنْهُ شَـيْــــًٔـا ۭ فَاِنْ كَانَ الَّذِيْ عَلَيْهِ
الْحَقُّ سَفِيْهًا اَوْ ضَعِيْفًا اَوْ لَا يَسْتَطِيْعُ اَنْ يُّمِلَّ ھُوَ فَلْيُمْلِلْ
وَلِيُّهٗ بِالْعَدْلِ ۭ وَاسْتَشْهِدُوْا شَهِيْدَيْنِ مِنْ رِّجَالِكُمْ ۚ فَاِنْ
لَّمْ يَكُوْنَا رَجُلَيْنِ فَرَجُلٌ وَّامْرَاَتٰنِ مِمَّنْ تَرْضَوْنَ مِنَ
الشُّهَدَاۗءِ اَنْ تَضِلَّ اِحْدٰىهُمَا فَتُذَكِّرَ اِحْدٰىهُمَا الْاُخْرٰى ۭ

---

وقتس اندر وَلَا يَاْبَ كَاتِبٌ اَنْ يَّكْتُبَ كَمَا عَلَّمَهُ اللّٰهُ فَلْيَكْتُبْ بيه مه كرن انكار كانه ليكهن وول يه كاغذ
ليكهنه نشهِ كيازه الله تعالىٰ ان يتهه پاڻهِ سؤ ڇپهه نوو ليكهن پس آسن سؤ تمهِ كس شكر انس اندر لوكن كاغذ ته
امهِ قسمك دستاويزات ليكهت دِوان وَلْيُمْلِلِ الَّذِيْ عَلَيْهِ الْحَقُّ بيه آسنس سؤي شخص ليكهناوان تهِ
عبارت ونان يس پيڻهه حق ڇهو يعني يس قرض نِوان آسهِ وَلْيَتَّقِ اللّٰهَ رَبَّهٗ كهو ڙِن سؤ خدا ايس يس تهنڊ
پروردگار ڇهو۔ وَلَا يَبْخَسْ مِنْهُ شَـيْــــًٔـا كم مه كرن سؤ امهِ منزه كانه چيز اه فَاِنْ كَانَ الَّذِيْ عَلَيْهِ
الْحَقُّ سَفِيْهًا اَوْ ضَعِيْفًا پس هر گاه قرض نِوهؤن كم عقل آسهِ يا ضعيف ته ناتوان آسه اَوْ لَا يَسْتَطِيْعُ اَنْ
يُّمِلَّ ھُوَ يا آسهِ نه هيكان سؤ پانه عبارت وَنتهه نه زانته موكه فَلْيُمْلِلْ وَلِيُّهٗ بِالْعَدْلِ پس ليكهناوِن ته
عبارت ونِ والِ تهُو ند معتبر ته كارگن تهنڊ واره پاڻهِ ته انصافه پاڻهه وَاسْتَشْهِدُوْا شَهِيْدَيْنِ مِنْ
رِّجَالِكُمْ بيه ٿهاويو كه شاهد زه گواه مسلمان مَر دوأندره فَاِنْ لَّمْ يَكُوْنَا رَجُلَيْنِ فَرَجُلٌ وَّامْرَاَتٰنِ هر گاه
نے زه مسلمان مرد هيٽن يعني مُيسّر ته دستياب هيكن نه سپد تههِ تيلهِ رُوزن گواه اكه مرد ته زه زنانه مِمَّنْ
تَرْضَوْنَ مِنَ الشُّهَدَاۗءِ يم تههُ پسند كريؤ كه گواهو أندره اَنْ تَضِلَّ اِحْدٰىهُمَا فَتُذَكِّرَ اِحْدٰىهُمَا
الْاُخْرٰى كيازه هر گاه مَشت گژههِ دويو اندره اكس زنانهِ ڙيتس پاويس دوئيم زنانه وَلَا يَاْبَ الشُّهَدَاۗءُ اِذَا مَا

وَلَا يَأْبَ الشُّهَدَآءُ إِذَا مَا دُعُوْا ۚ وَلَا تَسْـَٔمُوْٓا أَنْ تَكْتُبُوْهُ
صَغِيْرًا أَوْ كَبِيْرًا إِلٰىٓ أَجَلِهٖ ۚ ذٰلِكُمْ أَقْسَطُ عِنْدَ اللّٰهِ وَأَقْوَمُ
لِلشَّهَادَةِ وَأَدْنٰىٓ أَلَّا تَرْتَابُوْٓا إِلَّآ أَنْ تَكُوْنَ تِجَارَةً حَاضِرَةً
تُدِيْرُوْنَهَا بَيْنَكُمْ فَلَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ أَلَّا
تَكْتُبُوْهَا ۚ وَأَشْهِدُوْٓا إِذَا تَبَايَعْتُمْ ۪ وَلَا يُضَآرَّ كَاتِبٌ
وَّلَا شَهِيْدٌ ۚ۬ وَإِنْ تَفْعَلُوْا فَإِنَّهٗ فُسُوْقٌۢ بِكُمْ ۚ وَ
اتَّقُوا اللّٰهَ ۚ وَيُعَلِّمُكُمُ اللّٰهُ ۚ وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ﴿٢٨٢﴾

---

دُعُوْا گواهن هُند گرڻهه نه انڪار ڪرن يلهِ تمن گواه روزنه خيطره ناد آسهِ يوان دِنه وَلَا تَسْـَٔمُوْٓا أَنْ تَكْتُبُوْهُ صَغِيْرًا أَوْ كَبِيْرًا إِلٰىٓ أَجَلِهٖ سستي مه آسو ڪران يهِ معيادي ڪاغذ ليکهنه نشهِ اده معامله لوڪُٽ آسٽن يا بوڙ ذٰلِكُمْ أَقْسَطُ عِنْدَ اللّٰهِ يه ڇهُو تهندهِ خيطره انصافس زياده قايم ٿاوهُن خدائيس نشهِ وَأَقْوَمُ لِلشَّهَادَةِ بيهِ ڇهُو يه ليکهن زياده قايم ٿوهُن گواهيهِ وَأَدْنٰىٓ أَلَّا تَرْتَابُوْٓا بيه ڇهُو زياده نزديک يٿه ڪٿهِ ڪهِ توههِ روزِه نه شڪ ته شبه إِلَّآ أَنْ تَكُوْنَ تِجَارَةً حَاضِرَةً مگرے آسهِ تجار تاه فوري هينه دِنڪُ تُدِيْرُوْنَهَا بَيْنَكُمْ يُس تجارت تههُ يانه وان ڦران آسو يعني هينه وول آسهِ قيمت دوان ڪنن وول آسهِ چيز پيش ڪران فَلَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ أَلَّا تَكْتُبُوْهَا پس ڇهُونه ڪانهه حرج توههِ هر گاه اٿهه صورتس منز ليکهان آسونه وَأَشْهِدُوْٓا إِذَا تَبَايَعْتُمْ بيهِ آسو گواه ٿاوان يلهِ تههُ خريد و فروخت ڪران آسو۔ يُٿهنه ڪانهه دويَو اندره اِنڪار ڪره وَلَا يُضَآرَّ كَاتِبٌ وَّلَا شَهِيْدٌ نقصان گرڻهِ نه واتناونه يُن نه ليکهن والس ته نه شاهدن وَإِنْ تَفْعَلُوْا فَإِنَّهٗ فُسُوْقٌۢ بِكُمْ هر گاه توههِ تهِ ڪوروه ڪاتبن ته شاهدن واتنووه تڪليف ته ضرر سوُ ڇهُو تهُندهِ خيطره بوڙ گناه وَاتَّقُوا اللّٰهَ کهوڙو خدائيس هميشه خصوصاً تمهِ ڪامهِ ڪرنس اندر يمونشهِ منع آو توههِ ڪرنه۔ وَيُعَلِّمُكُمُ اللّٰهُ الله تعالیٰ ڇهُوه دين و دنياچهِ ڪامهِ ته احڪام ڇهچهه ناوان

وَاِنْ كُنْتُمْ عَلٰى سَفَرٍ وَّلَمْ تَجِدُوْا كَاتِبًا فَرِهٰنٌ مَّقْبُوْضَةٌ ؕ فَاِنْ
اَمِنَ بَعْضُكُمْ بَعْضًا فَلْيُؤَدِّ الَّذِى اؤْتُمِنَ اَمَانَتَهٗ وَلْيَتَّقِ اللّٰهَ
رَبَّهٗ ؕ وَلَا تَكْتُمُوا الشَّهَادَةَ ؕ وَمَنْ يَّكْتُمْهَا فَاِنَّهٗۤ اٰثِمٌ قَلْبُهٗ ؕ وَ
اللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ عَلِيْمٌ ﴿۲۸۳﴾ لِلّٰهِ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَمَا فِى الْاَرْضِ ؕ
وَاِنْ تُبْدُوْا مَا فِىْۤ اَنْفُسِكُمْ اَوْ تُخْفُوْهُ يُحَاسِبْكُمْ بِهِ
اللّٰهُ ؕ فَيَغْفِرُ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيُعَذِّبُ مَنْ يَّشَآءُ ؕ وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ

---

وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَىْءٍ عَلِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو پرتھ چیزاہ پور زانہ ون وَاِنْ كُنْتُمْ عَلٰى سَفَرٍ وَّلَمْ تَجِدُوْا كَاتِبًا
وون ہر گاہ تہٕ آسِو سفرس اندر تو پتہٕ لبیون نہ تہٕ کانہہ لیکھن وولاہ تتھ سفرس منز فَرِهٰنٌ مَّقْبُوْضَةٌ
تتھ صورتس اندر گرٕھن بند تھونک چیز پیش کرن یمن چیزن قبضہ کرہ قرضک رقم دِنہ وول فَاِنْ اَمِنَ
بَعْضُكُمْ بَعْضًا پس ہر گاہ مطمئن آسہِ توہہ اندرہ اکھ بیٔس پیٹھ یعنی اکھ اکس پیٹھ اعتماد تہٕ اعتبار آسہِ
فَلْيُؤَدِّ الَّذِى اؤْتُمِنَ اَمَانَتَهٗ وَلْيَتَّقِ اللّٰهَ رَبَّهٗ پس تمِس پیٹھ اَعتماد تہٕ اعتبار آو کرنہ سۄ کرن ادا پنُن
امانت۔ بیہ کھوٗژن خدایس پنہ نس پروردگارس تمسند حق مہ کھین وَلَا تَكْتُمُوا الشَّهَادَةَ اے مسلمانو
مہ آسِو گواہی کھٹان وَمَنْ يَّكْتُمْهَا فَاِنَّهٗۤ اٰثِمٌ قَلْبُهٗ یُس اکھاہ شہادت تہٕ گواہی کھٹان آسہِ تمسُند دِل
چھُو گنہگار۔ یعنی سۄ مہ زانن یہ شہادت نہ دِن ماچھُو زیوہِ ہنٛدی یوٚت گناہ بلکہ چھُو یہ دِلُک گناہ تہٕ وَاللّٰهُ
بِمَا تَعْمَلُوْنَ عَلِيْمٌ کیازِہ پرتھ گنہُک ارادہ چھُو دِلہ پیٹھے ووتھان۔ اللہ تعالیٰ چھُو پۄر زانان یہ تہٕ
کران چھُوہ دِلو یا تانو سیت لِلّٰهِ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَمَا فِى الْاَرْضِ خدایہ سندٕی چھُو تہٕ سوٗری یہ آسمانن
اندر چھُو بیہ یہ زمینن اندر چھُو۔ خود آسمان تہٕ زمین چھُو تہنٛدٕی وَاِنْ تُبْدُوْا مَا فِىْۤ اَنْفُسِكُمْ اَوْ تُخْفُوْهُ
يُحَاسِبْكُمْ بِهِ اللّٰهُ ہر گاہ ننہِ راوِو تہٕ یہ تہنٛدین دِلن اندر چھُو یا کھٹتھ تھاوِو۔ اللہ تعالیٰ چھُو تہٕ سوٗری
زانان۔ تتھ سارسی پیٹھ ہیوہ سۄ حساب فَيَغْفِرُ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيُعَذِّبُ مَنْ يَّشَآءُ تو پتہٕ یَس خوش
کریس تس کرہِ مغفرت یَس خوش کریس تس کرہِ عذاب وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَىْءٍ قَدِيْرٌ اللہ تعالیٰ چھُو پرتھ

شَیۡءٍ قَدِیۡرٌ ﴿۲۸۴﴾ اٰمَنَ الرَّسُوۡلُ بِمَاۤ اُنۡزِلَ اِلَیۡهِ مِنۡ رَّبِّهٖ وَ
الۡمُؤۡمِنُوۡنَ ؕ کُلٌّ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَ مَلٰٓئِکَتِهٖ وَ کُتُبِهٖ وَ رُسُلِهٖ ۟
لَا نُفَرِّقُ بَیۡنَ اَحَدٍ مِّنۡ رُّسُلِهٖ ۟ وَ قَالُوۡا سَمِعۡنَا وَ اَطَعۡنَا ٭
غُفۡرَانَکَ رَبَّنَا وَ اِلَیۡکَ الۡمَصِیۡرُ ﴿۲۸۵﴾ لَا یُکَلِّفُ اللّٰهُ نَفۡسًا اِلَّا
وُسۡعَهَا ؕ لَهَا مَا کَسَبَتۡ وَ عَلَیۡهَا مَا اکۡتَسَبَتۡ ؕ رَبَّنَا لَا

---

چیز س پٹِھ قُدرت وارو آھي. وَاِنۡ تُبۡدُوۡا مَا فِیۡۤ اَنۡفُسِکُمۡ اَوۡ تُخۡفُوۡهُ یُحَاسِبۡکُمۡ بِهِ اللّٰهُ نازل ٿيڻ سان صحابه
سڀ سِڪِ غمگين عرض ڪيائون ته آنحضرت صلي الله عليه وسلم جي خدمت ۾ عرض ڪيائون ته يارسول الله
هي حڪم ڏاڍو مُشڪل سان نڀائي سگهبو. فرمايائون ته ڇا توهان به يهودين ۽ نصارن وانگر پنهنجي
پيغمبرن سمعنا وعصينا چئو ٿا، توهان ته تسليم خدا جي حڪم جي ڪريو ۽ سمعنا واطعنا چئو.
اُهي الله تعالى ڪرم توهان تي رحم. چنانچه ائين ئي ٿيو ۽ الله تعالى انهن جي نبي ڪريم صلي الله عليه
وسلم سميت باايمانن جي تعريف فرمائي اٰمَنَ الرَّسُوۡلُ بِمَاۤ اُنۡزِلَ اِلَیۡهِ مِنۡ رَّبِّهٖ وَ الۡمُؤۡمِنُوۡنَ
پيغمبر برحق ڪري پڙهه تته سارسي يه نازل آوڪرنه تمن پيٽه تهندس پروردگار سنده طرفه بيه ڪرپڙهه تته
باايمانو کُلٌّ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَ مَلٰٓئِکَتِهٖ وَ کُتُبِهٖ وَ رُسُلِهٖ پريتهه اڪ اون ايمان ڪنس خداليس بيه تهندين
ملائڪن. بيه تهنزن ڪتابن بيه تهندين پيغمبرن سارني تمو دوپ لَا نُفَرِّقُ بَیۡنَ اَحَدٍ مِّنۡ رُّسُلِهٖ اسِ ڇهنه
فرق ڪران پيغمبروانده ڪانسه اڪس منز. اسه نش ڇهه ساري پيغمبر برحق. تم حضرت آدمس عليه الصلوٰة
والسلامس پيٽه حضرتِ محمّدس صلي الله عليه وسلم تانِ آي سوزنه وَ قَالُوۡا سَمِعۡنَا وَ اَطَعۡنَا بيه
وون باايمانو بوزاسهِ مُون اَسه غُفۡرَانَکَ رَبَّنَا وَ اِلَیۡکَ الۡمَصِیۡرُ وونِ ڇهه ڑهانڈان اسِ چون مغفرت
اي سانهِ پروردگاده پتولاکه ڇهوواتن ڑے نش لَا یُکَلِّفُ اللّٰهُ نَفۡسًا اِلَّا وُسۡعَهَا عِباد تک تکليف ڇهونه
الله تعالى دِوان ڪانسهِ اڪس مگر تهندهِ طاقته موجب لَهَا مَا کَسَبَتۡ وَ عَلَیۡهَا مَا اکۡتَسَبَتۡ پرت اڪس ڇهو
ثواب تمهِ ڪوي يه تمِ ڪموومُت ته حاصلِ ڪورمُت آسه نيڪيو اندره بيه ڇهو پريتهه اڪس تمهِ ڪوي عذاب ته

تُؤَاخِذْنَآ اِنْ نَّسِيْنَآ اَوْ اَخْطَاْنَا ۚ رَبَّنَا وَلَا تَحْمِلْ عَلَيْنَآ اِصْرًا كَمَا حَمَلْتَهٗ عَلَى الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِنَا ۚ رَبَّنَا وَلَا تُحَمِّلْنَا مَا لَا طَاقَةَ لَنَا بِهٖ ۚ وَاعْفُ عَنَّا ۥ وَاغْفِرْ لَنَا ۥ وَارْحَمْنَا ۥ اَنْتَ مَوْلٰىنَا فَانْصُرْنَا عَلَى الْقَوْمِ الْكٰفِرِيْنَ ﴿٢٨٦﴾

---

سزا یِہ تم کُرمُت آسہِ بدیَو اَندرہ رَبَّنَا لَا تُؤَاخِذْنَآ اِنْ نَّسِيْنَآ اَوْ اَخْطَاْنَا ای سانہِ پروردگارہ رٹتہ متہ اَسہِ ہر گاہ اسہِ کینہہ مشت گویا خطا گو رَبَّنَا وَلَا تَحْمِلْ عَلَيْنَآ اِصْرًا كَمَا حَمَلْتَهٗ عَلَى الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِنَا ای سانہِ پروردگارہ بیہ مِتہ کھارتہ اسہِ پیٹھہ عباد تُک سُو بۄرُیس بۄر کھورُتھ ژیہ تمِن لُوکن پیٹھہ یم اَسہِ برونٹھہ آسِ رَبَّنَا وَلَا تُحَمِّلْنَا مَا لَا طَاقَةَ لَنَا بِهٖ ای سانہ پروردگارہ بیہ مہ تُلناواسہِ سُو بۄر یمکہ تلُنگ اسہِ طاقتھے چھُونہ۔ وَاعْفُ عَنَّا وَاغْفِرْ لَنَا وَارْحَمْنَا بیہ کر عفواسہِ۔ بیہ کر مغفرت اَسہِ۔ بیہ کراَسہِ پیٹھہ رحم اَنْتَ مَوْلٰىنَا ژٕی چھُکھ سُون مولاتہ آغہ فَانْصُرْنَا عَلَى الْقَوْمِ الْكٰفِرِيْنَ پس کر ژٕہ اَسہ یاری تہ مدد کافرن پیٹھ حدیث شریفس منز چھُ آمُت یلہِ یمِ آیاتِ کریمہ نازِل سپدِ تو پتہ پیٚرِ حضرتِ رسول کریمن صلی اللہ علیہ وسلم یمِ آیات اللہ تعالیٰ ان فرماوِکھ اَکس اَکس دعاءس پتہ ادہ ہز۔ یعنی اجابت کورُم اکہِ اکہِ تُھندین سارنی مُطالباتن



## سُوۡرَةُ اٰلِ عِمۡرٰن

بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ ○

الٓمّٓ ۚ ﴿۱﴾ اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الۡحَىُّ الۡقَيُّوۡمُ ؕ ﴿۲﴾ نَزَّلَ عَلَيۡكَ الۡكِتٰبَ بِالۡحَـقِّ مُصَدِّقًا لِّمَا بَيۡنَ يَدَيۡهِ وَاَنۡزَلَ التَّوۡرٰىةَ وَالۡاِنۡجِيۡلَ ۙ ﴿۳﴾ مِنۡ قَبۡلُ هُدًى لِّلنَّاسِ وَاَنۡزَلَ الۡفُرۡقَانَ ؕ اِنَّ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا

---

الٓمّٓ خدایہ سی چھُ معلوم امہِ اندرہ کیاہ مُراد چھُ اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الۡحَىُّ الۡقَيُّوۡمُ اللہ تعالیٰ چھُ معبوُد برحق۔ کانہہ معبوُداہ چھُونہ تس وراے۔ سُوی چھُ زِندہ مرنہ نشہِ منزّہ تہ پاک۔ سُوی چھُ سارنی زِندن زندگی عطا کرہ وُن۔ پانہ چھُ قائم بذاتِ خود۔ سُوی چھُ سارنی چیزن قائم تھاوہ وُن۔ سُوی چھُ ازلاً وابداً موجوُد۔ تس ورائی یم چھِ تِم ساری چھِ پنہ نِس وجوُدس اندر۔ پننہِ وجودہ کس حفاظت تہ راچھہِ کرنس اندر۔ تس کُن محتاج۔ لہذا چھُونہ کانہہ اکھاہ عبادتس سزاوار تس ورائی۔ عبادت گئیہ عاجزی تہ پستی نَراونِ۔ یہِ شُوبہ تئس برونٹھ کنہِ نَراونِ یُس سیٹھاہ بے حدو بے نہایت عزت تہ بجُر آسہِ۔ یُس نہ حیات وبقاءس منز کانسہِ کُن محتاج آسہِ۔ سُو چھُونہ کانہہ تہِ تس کُنِس خدائیس وراے۔ اتھہ کُن نظر کرتھ شوُبہِ نہ بندن ہنز کانسہِ برونٹھ کنہِ عاجزی و پستی نَراونِ تس عزت و عظمتہ والس خدائیس وراے نَزَّلَ عَلَيۡكَ الۡكِتٰبَ بِالۡحَـقِّ تمیٔ کر توہہِ پیٹھ بیہِ نازِل یہِ بڈ کتاب پزپاٹھ یار سُول اللہ مُصَدِّقًا لِّمَا بَيۡنَ يَدَيۡهِ یتھہ حالتس اندر کہ یہِ کتاب چھہِ تصدیق کران تِمن سارنی کتابن یمہ امہِ برونٹھ نازِل کرنہ آیہ وَاَنۡزَلَ التَّوۡرٰىةَ وَالۡاِنۡجِيۡلَ * مِنۡ قَبۡلُ بیہِ کور تمیٔ نازِل توُرایت تہ انجیل امہِ برونٹھ حضرتِ موسیٰ کلیم اللہ ہس پیٹھ توُرایت حضرت عیسیٰ روح اللہ ہس پیٹھ انجیل هُدًى لِّلنَّاسِ یمہ دوشوٕے کتابہ آسہ لوُکن ہندہِ خیطرہ بوڈ ہدایت وَاَنۡزَلَ الۡفُرۡقَانَ بیہِ کرہِ تمیٔ نازِل حضراتِ انبیاءن پیٹھ تِمہ کتابہ تہ تِم معجزات یمَو سیت پزِس تہ اپزِس فرق سپز۔ اِنَّ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ بیشک یِم لوکھ انکار چھہِ کران خدایہِ سندین تِمن آیاتن یِم تہندِس وحدانیتس پیٹھ دلالت چھہِ کران لَهُمۡ عَذَابٌ شَدِيۡدٌ

بِاٰيٰتِ اللّٰهِ لَهُمْ عَذَابٌ شَدِيْدٌ ؕ وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ ذُو انْتِقَامٍ ۝۴ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَخْفٰى عَلَيْهِ شَيْءٌ فِى الْاَرْضِ وَلَا فِى السَّمَآءِ ؕ ۝۵ هُوَ الَّذِىْ يُصَوِّرُكُمْ فِى الْاَرْحَامِ كَيْفَ يَشَآءُ ؕ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ۝۶ هُوَ الَّذِىْۤ اَنْزَلَ عَلَيْكَ الْكِتٰبَ مِنْهُ اٰيٰتٌ مُّحْكَمٰتٌ هُنَّ اُمُّ الْكِتٰبِ وَاُخَرُ مُتَشٰبِهٰتٌ ؕ فَاَمَّا الَّذِيْنَ

---

تھندی خیطرہ چھُو سخت عذاب وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ ذُو انْتِقَامٍ اللہ تعالیٰ چھُو غلبہ وول تہ قدرت وول بدلہ تہ انتقام ہینہ وول اِنَّ اللّٰهَ لَا يَخْفٰى عَلَيْهِ شَيْءٌ فِى الْاَرْضِ وَلَا فِى السَّمَآءِ بیشک اللہ تعالیٰ اَس نِش چھُو نہ کانہہ چیزاہ کھٹتھ نہ زمین تہ نہ آسمانن اندر لہذا چھُو تمسُند علم نہایت کامِل هُوَ الَّذِىْ يُصَوِّرُكُمْ فِى الْاَرْحَامِ كَيْفَ يَشَآءُ سُو گو سُوی قدرت وول یُس ماجن ہندن شکمن اندر، بچہِ دانین اندر چھُو توہہِ سارنی شکل وصورتھ عطا کران۔ یتھہ پاٹھہِ سُہ یژھان چھُو اَکس اکھ صُورت بیس بیاکھ صُورت۔ ساری اعضاء بُتھہ اَچھہِ نس۔ آس۔ ڈیکہ ہونگنِ۔ سارنی برابر مگر باوجود آں چھُونہ کانہہ کانسہِ ہیُو۔ امہِ اندرہ چھہِ نَنان تھنز کمال قدُرت پس سپُد ثابت کہ حیات کاملہ تہِ تَمِس یُوت قیومیّت تہِ تَمِس یوت۔ علمِ کامِل تہِ تَمِس یُوت۔ قدرتِ کاملہ تہِ تَمِس یُوت۔ یم گئے اصولِ صفات۔ یم ساری چھہِ مُوجود تس ذاتِ پاکس اندر بدرجہ اتم بغایتِ کمال کانسہِ ہندِہ شرکتہ ورایَ۔ امی سیت سپُد ثابت کہ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ کانہہ اکھاہ چھُونہ عبادتس لایق معبُود آسنس سزاوار تس ورای الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ سُوی چھُو غالبِ توحیدہ کین مُنکرن ہیکہِ سُوی انتقام ہیتھہِ حکمتہ وول تہِ چھُو۔ تہِ گو سیتی چھُونہ مُنکرن عذابس گرفتار کران۔ هُوَ الَّذِىْۤ اَنْزَلَ عَلَيْكَ الْكِتٰبَ سُو گو سُوی یم نازِل کُر توہہِ پیٹھہ یارسُول اللہ یہِ بڈکتابِ قرآن مجید مِنْهُ اٰيٰتٌ مُّحْكَمٰتٌ هُنَّ اُمُّ الْكِتٰبِ تمہَ منزہ چھہِ کینہہ آیات مضبوط تہ مُحکم پنہ نین معنین پیٹھہ صاف تہ واضح یمن پیٹھہ احکامن ہُند دارومدار چھُو وَاُخَرُ مُتَشٰبِهٰتٌ بیہ چھہِ کینہہ آیات اَمہِ کِتابہ ہندِ یمن ہندین معنین ہشر چھُو بین لفظن ہندین معنین سیت یمن آیاتن ہُند معنی پریتھ اَکس معلوُم چھُونہ فَاَمَّا الَّذِيْنَ

فِیْ قُلُوْبِهِمْ زَیْغٌ فَیَتَّبِعُوْنَ مَا تَشَابَهَ مِنْهُ ابْتِغَآءَ الْفِتْنَةِ وَ ابْتِغَآءَ تَاْوِیْلِهٖ ۚ وَ مَا یَعْلَمُ تَاْوِیْلَهٗۤ اِلَّا اللّٰهُ ۘ وَ الرّٰسِخُوْنَ فِی الْعِلْمِ یَقُوْلُوْنَ اٰمَنَّا بِهٖ ۙ كُلٌّ مِّنْ عِنْدِ رَبِّنَا ۚ وَ مَا یَذَّكَّرُ اِلَّاۤ اُولُوا الْاَلْبَابِ ۝۷ رَبَّنَا لَا تُزِغْ قُلُوْبَنَا بَعْدَ اِذْ هَدَیْتَنَا وَ هَبْ لَنَا مِنْ لَّدُنْكَ رَحْمَةً ۚ اِنَّكَ اَنْتَ الْوَهَّابُ ۝۸

---

فِیْ قُلُوْبِهِمْ زَیْغٌ پَس تِمَن لُوکن ہندین دِلن اندر ہجرتہ وٹھ چھُو فَیَتَّبِعُوْنَ مَا تَشَابَهَ مِنْهُ تِم چھِہ تمی بدنیتی تہ ہجرہ مُوکھہ پتہ لگان تمنی آیاتن تِمَن ہندِہ معنیچ وضاحت چھنہ آسان ابْتِغَآءَ الْفِتْنَةِ وَ ابْتِغَآءَ تَاْوِیْلِهٖ فتنہ تہ فساد تُلنکہِ غرضہ بیہ پننہِ طرفہ غلط معنی کرنکہِ غرضہ یُتھہ لُوکن اندر شک تہ شبہات پادہ سپدن تِمِ ڈلن راہِ راستہ نِشہ وَ مَا یَعْلَمُ تَاْوِیْلَهٗۤ اِلَّا اللّٰهُ حالانکہِ تِمَن آیاتن ہُند صحیح معنی چھُونہ زانان کانہہ تہِ اللہ تعالیٰ اس ورائے وَ الرّٰسِخُوْنَ فِی الْعِلْمِ توے تِم گاٹلِ تہ پختہ کار عالِم چھِہ یَقُوْلُوْنَ اٰمَنَّا بِهٖ ۙ كُلٌّ مِّنْ عِنْدِ رَبِّنَا تِم چھِہ ونان اَسِہ اُون ایمان تِمَن متشابہ آیاتن ساری آیات محکم تہ متشابہ تہِ چھِہ سانس پروردگارہ سندِ طرفہ وَ مَا یَذَّكَّرُ اِلَّاۤ اُولُوا الْاَلْبَابِ نصیحَتھ کُرن نہ قبُول مگر عقلہِ والی۔ تِمِ عقلہِ والِ چھِنہ اَتھہ پننہ نِس صحیح طریقس پیٹھہ آسنس پیٹھہ تھکان تہ ژینگان بلکہِ چھِہ تِمِ خدایس سنزے مہربانی تہ نعمت زانتھِ تس بعاجزی منگان رَبَّنَا لَا تُزِغْ قُلُوْبَنَا بَعْدَ اِذْ هَدَیْتَنَا ای سانہِ پروردگارہ ہلِ مَتہ کرتھہ ڈالتھہ متہ دِل سانِ اسہِ ہدایت کرنہ پتہ۔ وَ هَبْ لَنَا مِنْ لَّدُنْكَ رَحْمَةً عطا کرتہ اسہِ پنن نُبڈر رحمت۔ سو رحمت گیہ یہے کہ اسہِ تھاوتہ قائم تہ محکم راہِ راستس پیٹھ اِنَّكَ اَنْتَ الْوَهَّابُ پزپاٹھہِ ژِ چھُکھ سیٹھاہ عطا کرہ وُن۔ بڈر رحمت عطا کرہ وُن رَبَّنَاۤ اے سانہِ پروردگارہ اَسِ چھِنہِ یہ دُعا منگان کُنہ دُنیوی غرضہ خیطرہ بلکہ چھِہ اَسِ یہ دُعا کران محض چانہِ آخرتکہِ عذابہِ نشہ بچنہ خیطرہ کیازِہ اَسہِ چھہ پزھہ۔ اِنَّكَ جَامِعُ النَّاسِ لِیَوْمٍ لَّا رَیْبَ فِیْهِ بیشک ژِ چھُکھ سونبرہ وُن سارنی لُوکن محشرکِس میدانس اندر تمہِ دوہہ کِس یِنس منز کانہہ شک تہ شُبہ چھُونہ۔ کیازِہ ژِ یہ

رَبَّنَآ اِنَّكَ جَامِعُ النَّاسِ لِيَوْمٍ لَّا رَيْبَ فِيْهِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا يُخْلِفُ الْمِيْعَادَ ﴿٩﴾ ع اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَنْ تُغْنِيَ عَنْهُمْ اَمْوَالُهُمْ وَلَآ اَوْلَادُهُمْ مِّنَ اللّٰهِ شَيْئًا ؕ وَاُولٰٓئِكَ هُمْ وَقُوْدُ النَّارِ ﴿١٠﴾ لا كَدَاْبِ اٰلِ فِرْعَوْنَ ۙ وَالَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ؕ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا ۚ فَاَخَذَهُمُ اللّٰهُ بِذُنُوْبِهِمْ ؕ وَاللّٰهُ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ﴿١١﴾ قُلْ لِّلَّذِيْنَ كَفَرُوْا سَتُغْلَبُوْنَ وَتُحْشَرُوْنَ اِلٰى جَهَنَّمَ ؕ وَبِئْسَ الْمِهَادُ ﴿١٢﴾ قَدْ كَانَ

---

چھٹت تمہِ دوہکہِ ینک پانہ وعدہ فرموومُت اِنَّ اللّٰهَ لَا يُخْلِفُ الْمِيْعَادَ پزپاٹھِ اللہ تعالیٰ چھونہ ہرگز پنہ نِس وعدس خِلاف کران اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَنْ تُغْنِيَ عَنْهُمْ اَمْوَالُهُمْ وَلَآ اَوْلَادُهُمْ مِّنَ اللّٰهِ شَيْئًا بیشک یمو لوکو کُفر تہٕ اِنکار کور ہرگز ہیکنہِ تِمن نفع تہٕ فائدہ واتناوِتھ نہ تہُند مال ودولت نہ تہندِ اولاد خدایس نِشہ کُنہِ چیزک وَاُولٰٓئِكَ هُمْ وَقُوْدُ النَّارِ بیہِ آسَن تمے یہندِ سیت نار جہنم تاونہ پیہ تہوند حال چھو كَدَاْبِ اٰلِ فِرْعَوْنَ وَالَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فرعونی لُوکن تہٕ بیہِ تِمن کافرن ہُند ہیو حالَ تِم برونٹھ آسِ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا تِموتہٕ کیازانِ اپزِ سانِ آیات توے کُرکھ نافرمانی فَاَخَذَهُمُ اللّٰهُ بِذُنُوْبِهِمْ پس کُرِ تِم گرفتار عذابس اللہ تعالیٰ ان پنہ نین گنہن تہٕ نافرمانین ہندِ سببہٕ۔ وَاللّٰهُ شَدِيْدُ الْعِقَابِ اللہ تعالیٰ چھُو سخت عذاب کرہ ؤن سخت سزا دوہ ؤن قُلْ لِّلَّذِيْنَ كَفَرُوْا سَتُغْلَبُوْنَ وَتُحْشَرُوْنَ اِلٰى جَهَنَّمَ وَبِئْسَ الْمِهَادُ فرماوِتھ یارسُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم یمن کافرن ای کافروتھ سپدِ وجلدی مغلوب مُسلمانن ہندہ اَتھہ دنیاءس اندر تو پتہٕ ییو سونبرت واتناونہ نار جہنمس۔ سوچھ سیٹھاہ پچھ جایاہ تہُندہ ٹھہرنہ خیطرہ۔ یتھ منز قرارہ بدل سخت بیقراری آسہِ توہہِ قَدْ كَانَ لَكُمْ اٰيَةٌ فِيْ فِئَتَيْنِ الْتَقَتَا بتحقیق اُوس تہندہ خیطرہ بوڈ نمُونہ تہٕ عبرت حاصِل کرنکُ نشانہ تِمن دون جماعتن ہندِس مقابلہ کرنس منز یِم مِلِ اکھ اکس سیت جنگِ بدرس منز فِئَةٌ تُقَاتِلُ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ اکھ جماعت آس جہاد کران خدایہ سندِہ خیطرہ یعنی حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم سنز لشکر۔ تِم آسِ تریہ ہتھ تہٕ تُرواہ (٣١٣) صاحِب۔ مہاجرِ واندرہ ستہ ستھہ

لَكُمْ اٰيَةٌ فِيْ فِئَتَيْنِ الْتَقَتَا ؕ فِئَةٌ تُقَاتِلُ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ وَاُخْرٰى
كَافِرَةٌ يَّرَوْنَهُمْ مِّثْلَيْهِمْ رَاْيَ الْعَيْنِ ؕ وَاللّٰهُ يُؤَيِّدُ بِنَصْرِهٖ
مَنْ يَّشَآءُ ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَعِبْرَةً لِّاُولِي الْاَبْصَارِ ﴿١٣﴾ زُيِّنَ
لِلنَّاسِ حُبُّ الشَّهَوٰتِ مِنَ النِّسَآءِ وَالْبَنِيْنَ وَالْقَنَاطِيْرِ
الْمُقَنْطَرَةِ مِنَ الذَّهَبِ وَالْفِضَّةِ وَالْخَيْلِ الْمُسَوَّمَةِ وَالْاَنْعَامِ
وَالْحَرْثِ ؕ ذٰلِكَ مَتَاعُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۚ وَاللّٰهُ عِنْدَهٗ حُسْنُ

---

(٧٧) انصار واندرہ زہ ہتھ تہ شیہ ترہ (٢٣٦) صاحب۔ سیت آسکھ زہ [٢] گُرِ۔ ستتھ [٧٠] ڈونٹھ۔
آٹھ [٨] شمشیرہ۔ شہ [٦] زرہ۔ وَاُخْرٰى كَافِرَةٌ بیاکھ جماعت آس خدائس اِنکار تہ کُفر کرہ ونِ ابوجہلہ
سنز لشکر تم آسِ نوشتھ تہ پنژاہ [٩٥٠] زنِ تمن سیت آسِ اکھ ہتھ گُرِ۔ سَتھ ہتھ وونٹ يَّرَوْنَهُمْ
مِّثْلَيْهِمْ رَاْيَ الْعَيْنِ مُسلمان آسِ ڈِچھان کافرن پانس دوگن وارہ کارہ اَچھو سیت۔ باوجودِ آں آسِ
قوتِ ایمانی سببہ تمن سیت مُقابلہ کرنہ خیطرہ تیار۔ تہندِ حوصلہ آسِ بُلند سپدان۔ نتہ گو معنی کہ کافر
آسِ وچھان مسلمانن پننہِ خوتہ دوگن۔ تہندِ حوصلہ آسِ پست سپدان یہئے گئیہ یاری خدا وَاللّٰهُ يُؤَيِّدُ
بِنَصْرِهٖ مَنْ يَّشَآءُ اللہ تعالیٰ چھُو یاری تہ مدد کران یَس یژھان چھُو تس۔ یتھہ پاٹھِ یژھان چھُو تتھ
پاٹھِ۔ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَعِبْرَةً لِّاُولِي الْاَبْصَارِ پژپاٹھِ یتھہ جنگِ بدرہ کس واقعس اندر چھہ بڈ عبرت
گاشد ارن ہندہ خیطرہ زُيِّنَ لِلنَّاسِ حُبُّ الشَّهَوٰتِ مِنَ النِّسَآءِ وَالْبَنِيْنَ وَالْقَنَاطِيْرِ الْمُقَنْطَرَةِ مِنَ الذَّهَبِ
وَالْفِضَّةِ وَالْخَيْلِ الْمُسَوَّمَةِ وَالْاَنْعَامِ وَالْحَرْثِ زینت آودِ نہ لوگن ہندِہ خیطرہ نفسچن خواہشاتن ہندِس
محبتس۔ مثلاً زنانہ۔ شُرِ۔ گبرَ۔ بیہ سوئبر مُت واریاہ مال۔ سون تہ روپھ۔ بیہ نشانہ دار گُرِ۔ بیہ چاروایِ۔
وونٹ۔ گُبن تہ تیر۔ بیہِ زراعت۔ ذٰلِكَ مَتَاعُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا یہِ سورُوی چھُو دنیا چہ ناپائیدار زندگی
ہُند اکھ سامانہ۔ نہ دنیاءس اعتبار نہ اتھہ سامانس کینہہ اعتبار وَاللّٰهُ عِنْدَهٗ حُسْنُ الْمَاٰبِ اللہ تعالیٰ سی
نِش چھہ جای رژہِ واپسی ہنز قُلْ اَؤُنَبِّئُكُمْ بِخَيْرٍ مِّنْ ذٰلِكُمْ فرماویوکھ تہہ یارسُول اللہ کیاہ بو کرووہ توہہِ

الْمَاٰبِ ⑭ قُلْ اَؤُنَبِّئُكُمْ بِخَيْرٍ مِّنْ ذٰلِكُمْ ۭ لِلَّذِيْنَ اتَّقَوْا عِنْدَ رَبِّهِمْ جَنّٰتٌ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا وَاَزْوَاجٌ مُّطَهَّرَةٌ وَّرِضْوَانٌ مِّنَ اللّٰهِ ۭ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِالْعِبَادِ ⑮ اَلَّذِيْنَ يَقُوْلُوْنَ رَبَّنَآ اِنَّنَآ اٰمَنَّا فَاغْفِرْ لَنَا ذُنُوْبَنَا وَقِنَا عَذَابَ النَّارِ ⑯ اَلصّٰبِرِيْنَ وَالصّٰدِقِيْنَ وَالْقٰنِتِيْنَ وَالْمُنْفِقِيْنَ وَالْمُسْتَغْفِرِيْنَ بِالْاَسْحَارِ ⑰ شَهِدَ اللّٰهُ اَنَّهٗ

---

خبر تمِیج یہ یمو ساروی چیزو خوتہ سیٹھاہ بہتر تہ افضل چھُو لِلَّذِيْنَ اتَّقَوْا عِنْدَ رَبِّهِمْ جَنّٰتٌ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ یِم لُوکھ خدایس کھوژن تہندِ ہ خیطرٕ چھِ تہندِس پروردگارس نِش تِم تِم باغ یِمو منز جو یہ پکان چھِ۔ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا تِمن باغن منز چھُو تِمن روزُن تہ بَسُن ہمیشہ ابدالآباد وَاَزْوَاجٌ مُّطَهَّرَةٌ بیہ چھِ تہندی خیطرٕ تِمن باغن اندر پاک وپاکیزٕ زنانہ یِمہ پاک وصاف آسَن حیضہ نِشہ، نفاسہ نِشہ بیہِ ساروی آلائیشو تہ گندہ گیوٗ نِشہِ وَرِضْوَانٌ مِّنَ اللّٰهِ بیہ چھُو تہندی خیطرٕ رضاے خدایو سہ ساروی نعمتو اندرٕ بڈ نعمت چھِ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِالْعِبَادِ اللہ تعالیٰ چھُو وارٕ وچھان بندن ہُند حال۔ پرِیتھ اکس دِیہ جزا پننہ پننہ کامہِ ہُند اَلَّذِيْنَ يَقُوْلُوْنَ رَبَّنَآ اِنَّنَآ اٰمَنَّا فَاغْفِرْ لَنَا ذُنُوْبَنَا وَقِنَا عَذَابَ النَّارِ تِم متقی یِہندِ ہ خیطرٕ یِمہ مہربانی تہ انعامات چھِ۔ تہندِ صفت چھِہ یِم۔ تِم چھِہ عاجزی سان منگان آسان کہ سانہ پروردگارہ بیشک اَسہِ اُون ایمان۔ دون کرتہ سانین گنہن مغفرت۔ بیہ رچھتہ اسہ نارکہِ عذابہ نِشہِ۔ بیہ چھِہ تہندِ صفت اَلصّٰبِرِيْنَ وَالصّٰدِقِيْنَ وَالْقٰنِتِيْنَ وَالْمُنْفِقِيْنَ وَالْمُسْتَغْفِرِيْنَ بِالْاَسْحَارِ تِم چھِہ صبر کرہ ون بیہ چھِہ تِم پوزونہ ونِ۔ بیہ چھِہ تِم فرمانبرداری کرہ ونِ بیہ چھِہ تِم رژن کامین اندر مال ژٹن خرچ کرہ ونِ خدایہ سندِ ہ رضا خیطرٕ۔ بیہ چھِہ تِم گنہن مغفرت تہ بخشایش منگہ ونِ سحرہ کین وقتن اندر پاسِ آخرس۔ کیازِہ تمہِ وقتہ چھِہ دعا قبول سپدنچ زیادہ اُمید شَهِدَ اللّٰهُ اَنَّهٗ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ گواہی چھِہ دِژمژ اللہ تعالیٰ ان برونٹھِمین کتابن اندر امچی کہ کانہہ معبود ہ چھُو نہ تس ذاتِ پاکس ورای

لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ وَالْمَلٰٓئِكَةُ وَاُولُوا الْعِلْمِ قَآئِمًا بِالْقِسْطِ ؕ
لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿١٨﴾ اِنَّ الدِّيْنَ عِنْدَ اللّٰهِ
الْاِسْلَامُ ۣ وَمَا اخْتَلَفَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ اِلَّا مِنْۢ بَعْدِ
مَا جَآءَهُمُ الْعِلْمُ بَغْيًاۢ بَيْنَهُمْ ؕ وَمَنْ يَّكْفُرْ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ
فَاِنَّ اللّٰهَ سَرِيْعُ الْحِسَابِ ﴿١٩﴾ فَاِنْ حَآجُّوْكَ فَقُلْ اَسْلَمْتُ
وَجْهِيَ لِلّٰهِ وَمَنِ اتَّبَعَنِ ؕ وَقُلْ لِّلَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ

---

وَالْمَلٰٓئِكَةُ وَاُولُوا الْعِلْمِ بیہ چھہ دٔژمژ گواہی اَچھ ملائکو پنہ نین اذکارو اورادن اندر، تہنز ذکر چھہ تسبیحات و تحمیدات و تہلیلات۔ بیہِ چھہ دٔژمژ گواہی اَچھ علمہ والیو پنہ نین تقریراتن و تحریراتن و بیاناتن اندر قَآئِمًا بِالْقِسْطِ درحالیکہ سُو معبُودِ برحق چھُو قائم تھاوِت پرتھ چیزک نظام اعتدالہ سان۔ تمی چھُو مکرر ونہ یوان لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ کانہہ معبود ہ چھُونہ تس وراے سُو چھہ غلبہ وول تہ حکمتہ وول۔ کیازِہ یہِ چھہ تمنزی کام بیہِ نہ کانسہِ ہنز اِنَّ الدِّيْنَ عِنْدَ اللّٰهِ الْاِسْلَامُ بیشک پوز دین تہ مقبول دین چھُو اللہ تعالیٰ اَس نِشہِ صرف دینِ اسلام وَمَا اخْتَلَفَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ اِلَّا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَهُمُ الْعِلْمُ اختلاف گُور نہ یہُود تہ نصارا و اسلامکس دین حق آسنس اندر مگر تمن نِشہِ امہِ کتھہِ ہُند پور علم واتنہ پتہ۔ یعنی یہ اختلاف کورِ تمو خبر آستھ دیدہ و دانستہ زانتھ کرِتھ بَغْيًاۢ بَيْنَهُمْ سُوی اختلاف کورُکھ حسدہ کِنِ تہ عِنادہ کِنِ یُس تمن منز آسی اوس وَمَنْ يَّكْفُرْ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ فَاِنَّ اللّٰهَ سَرِيْعُ الْحِسَابِ ووِنِ یُس اِنکار کرِہ پروردگارہ سندین آیاتن یعنی قرآنِ مجیدس تہ معجزاتن یتھہ پاٹھہِ تمو یہود و کور پس اللہ تعالیٰ چھُو تمن جلد حِساب ہیوہ وُن تس لگِنہ زیادہ وقت تمنِ حساب ہینس اندر۔ حسابہ پتے گو تہِندہ خیطرہ سخت عذاب فَاِنْ حَآجُّوْكَ ووِنِ ہرگاہ توہہِ سیت یا رسول اللہ تم لوک بحث لاگن فَقُلْ تُہہ فرماویوکھ اَسْلَمْتُ وَجْهِيَ لِلّٰهِ وَمَنِ اتَّبَعَنِ میہ کورپنن رخ کُنِس خدایس کُن بیہ تمو ساروی تم میہ پتہ پتہ پکان چھہِ میانِ مُتابعت کران چھہِ تہہ مانتو یا متہ مانتو وَقُلْ لِّلَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ

وَالْأُمِّيّٖنَ ءَاَسْلَمْتُمْ ۭ فَاِنْ اَسْلَمُوْا فَقَدِ اهْتَدَوْا ۚ وَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّمَا عَلَيْكَ الْبَلٰغُ ۭ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِالْعِبَادِ ﴿٢٠﴾ ع اِنَّ الَّذِيْنَ يَكْفُرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَيَقْتُلُوْنَ النَّبِيّٖنَ بِغَيْرِ حَقٍّ ۙ وَّيَقْتُلُوْنَ الَّذِيْنَ يَاْمُرُوْنَ بِالْقِسْطِ مِنَ النَّاسِ ۙ فَبَشِّرْھُمْ بِعَذَابٍ اَلِيْمٍ ﴿٢١﴾ اُولٰۗىِٕكَ الَّذِيْنَ حَبِطَتْ اَعْمَالُھُمْ فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ۡ وَمَا لَھُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ ﴿٢٢﴾

---

وَالْاُمِّيّٖنَ تو پتہ فرماوِ تہٕ بیہ یہوٗدن نصارا ءن بیہ عربکن مُشرکن تِم اَن پرٕہ چھہ ءَاَسْلَمْتُمْ کیاہ تہٕ چھوٕ اسلام قبول کران۔ یعنی تہٕ کرتو اسلام قبول۔ تتھ اندر آس تہٕنٛدٕ حقہ بہتری فَاِنْ اَسْلَمُوْا فَقَدِ اهْتَدَوْا ہرگاہ تِموٕ اِسلام قبول کورتلہِ لب تِمو سنزِ وَتھ وَاِنْ تَوَلَّوْا ہرگاہ اسلام قبول کرنہ نشہ تِمو بُتھہ پھُر۔ تُہہ مہٕ بَرِو تِمیک کانہہ پروا فَاِنَّمَا عَلَيْكَ الْبَلٰغُ تُوہِ اوس نہ مِٹہ مگر پیغام واتناوُن۔ تہِ واتنووہ تُہہِ پوٗرٕ پاٹھہِ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِالْعِبَادِ اللہ تعالیٰ چھُ وارٕ وچھان بندن ہند حال۔ سوٗ پرٛزھِ پانٕے نافرمانن۔ کیاہ کور تِمو اِنَّ الَّذِيْنَ يَكْفُرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ تِم لوکھ اِنکار کران چھہِ خدایہ سندین آیاتن مثلاً یہوٗد تِم چھنہِ مانان انجیلس تہٕ قرآنِ مجیدس وَيَقْتُلُوْنَ النَّبِيّٖنَ بِغَيْرِ حَقٍّ بیہ چھہِ قتل کران پیغمبرن ناحق۔ وَّيَقْتُلُوْنَ الَّذِيْنَ يَاْمُرُوْنَ بِالْقِسْطِ مِنَ النَّاسِ بیہ چھہِ قتل کران تِمن لوٗکن تِم تِمن امر چھہِ کران اِنصاف کرنکُ۔ فَبَشِّرْھُمْ بِعَذَابٍ اَلِيْمٍ تِمن وَنو بشارت کُڈرٕ عذابچ۔ مَروی چھُو از نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم بنی اسرائیلو کٔر شہید صبحس تیہ تاجہ ۴۳ پیغمبر۔ تو پتہ کرٕے یِکھہ فہمایش نیک لوکو اندرٕ اکھہ ہت تہٕ ستہ توزینو۔ تمی دوہہ شامَس تانِ کرِکھ تِم تہِ شہید۔ تہنزی ذِکرِ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان یتھہ آیہ کرِیمس اندر اُولٰۗىِٕكَ الَّذِيْنَ حَبِطَتْ اَعْمَالُھُمْ فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ تَمِے لُوکھ گے تِم یہنزٕ عملہ ضائع گیہ دنیاءس اندرتہِ تہٕ آخرتس اندرتہِ۔ وَمَا لَھُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ بیہ آسہِ نہ تِمن کانہہ مددگار اہ سزا کہ وقتہ اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ اُوْتُوْا نَصِيْبًا مِّنَ الْكِتٰبِ آیاو چھان چھوٕ نا تِمن

أَلَمْ تَرَ إِلَى الَّذِينَ أُوتُوا نَصِيبًا مِّنَ الْكِتٰبِ يُدْعَوْنَ إِلٰى كِتٰبِ اللّٰهِ لِيَحْكُمَ بَيْنَهُمْ ثُمَّ يَتَوَلّٰى فَرِيقٌ مِّنْهُمْ وَهُم مُّعْرِضُونَ ﴿٢٣﴾ ذٰلِكَ بِأَنَّهُمْ قَالُوا لَن تَمَسَّنَا النَّارُ إِلَّا أَيَّامًا مَّعْدُودٰتٍ ۖ وَغَرَّهُمْ فِي دِينِهِم مَّا كَانُوا يَفْتَرُونَ ﴿٢٤﴾ فَكَيْفَ إِذَا جَمَعْنٰهُمْ لِيَوْمٍ لَّا رَيْبَ فِيهِ ۚ وَوُفِّيَتْ كُلُّ نَفْسٍ مَّا كَسَبَتْ وَهُمْ لَا يُظْلَمُونَ ﴿٢٥﴾ قُلِ اللّٰهُمَّ مٰلِكَ الْمُلْكِ تُؤْتِي الْمُلْكَ مَن تَشَآءُ وَتَنزِعُ الْمُلْكَ

---

لوکن کُن یمن اکھ کانٛہ حِصاہ چھُو آمُت دِنہ توراتکُ۔ اگر تم ہدایت ژھانڈہ ونِ آسہن سُوی حِصہ اوس تہندِ ہ حقہ کانٛہ۔ يُدْعَوْنَ إِلٰى كِتٰبِ اللّٰهِ لِيَحْكُمَ بَيْنَهُمْ ناد چھُویوانِ دِنہ تِمن خدایہ سنزِہ تتھہ کِتابہ کُن یُوسہ تِمنٛی نِشہ چھِہ یُتھہ تِمنٛی سیت تِمن منز مذہبی اختلافکُ فیصلہ اِیہ ہاکرنہ ثُمَّ يَتَوَلّٰى فَرِيقٌ مِّنْهُمْ وَهُم مُّعْرِضُونَ توپتہ چھِہ تِمہ نِشہ ژلان تہ روگردانی کران تِموا اندرہ اکھ جماعت۔ بیہ چھِہ تِم بُتھہ پھِران ذٰلِكَ بِأَنَّهُمْ قَالُوا لَن تَمَسَّنَا النَّارُ إِلَّا أَيَّامًا مَّعْدُودٰتٍ یہِ اعتراض کرن تہُند چھُو تِمی موکھہ تِمن چھُو پننہِ جایہِ اکھ خیالاہ کہ تِمن زالہِ نہ نارِ جہنم مگر کینٛژن دوہَن۔ توپتہ بنہِ تِمن مغفرت۔ نارہ نِشہ ین کڈنہ۔ یہِ چھُو تہُند باطِل اعتقاد۔ اتھ پیٹھ چھُنہ تِمن نِشہ دلیلاہ کانٛہہ تہ وَغَرَّهُمْ فِي دِينِهِم مَّا كَانُوا يَفْتَرُونَ تِم چھِہ دینہ کِس حقس منز دھوکس منز تراومتِ پننہ نیو کتھو یمہ تِموپانٛے ٹھراوہِ مژہ چھِہ فَكَيْفَ إِذَا جَمَعْنٰهُمْ لِيَوْمٍ لَّا رَيْبَ فِيهِ پس کیاسنا حال آسہِ تہُندیلہِ اَسِ تِم سونبراووکھ تِمہِ دوہَہ یمہِ دوہَہ تہنز پیٚشی یِیہِ احکم الحاکمینس نِشہِ کرنہ۔ یمہِ دوہہ کِس یِنس منز نہ کانٛہہ شکھاہ تہ شُبہاہ چھُو۔ وَوُفِّيَتْ كُلُّ نَفْسٍ مَّا كَسَبَتْ وَهُمْ لَا يُظْلَمُونَ بیہ یِیہِ تِمی دوہَہ پرِیتھہ اکِس پننہِ کرتوتکُ پورہ پورہ بدلہ دِنہ۔ کانٛسہِ نسبت یِیہِ نہ کُنہِ قسمُک ظُلم کرنہ۔ یِیٚ وۄدمُت آسیکھہ تی لُونن۔ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمو کور فتح مکہ پتہ مُسلمانن رُوم تہ فارس فتح سپدنکُ وعدہ۔ منافق تہ یہُود لگِ اتھ پیٹھ ٹھٹھہ تہ استہزا کرنہِ۔ اتی سپد نازِل یہ آیہ کریم قُلِ اللّٰهُمَّ مٰلِكَ الْمُلْكِ تُؤْتِي الْمُلْكَ مَن تَشَآءُ اے محمد صلی اللہ علیہ وسلم خدایس آسِو یہِ دُعا منگان۔ یا

مِمَّنْ تَشَآءُ وَتُعِزُّ مَنْ تَشَآءُ وَتُذِلُّ مَنْ تَشَآءُ بِيَدِكَ الْخَيْرُ إِنَّكَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿٢٦﴾ تُوْلِجُ الَّيْلَ فِي النَّهَارِ وَتُوْلِجُ النَّهَارَ فِي الَّيْلِ وَتُخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ وَتُخْرِجُ الْمَيِّتَ مِنَ الْحَيِّ وَتَرْزُقُ مَنْ تَشَآءُ بِغَيْرِ حِسَابٍ ﴿٢٧﴾ لَا يَتَّخِذِ الْمُؤْمِنُوْنَ الْكٰفِرِيْنَ أَوْلِيَآءَ مِنْ دُوْنِ الْمُؤْمِنِيْنَ وَمَنْ يَّفْعَلْ ذٰلِكَ فَلَيْسَ مِنَ اللّٰهِ فِيْ شَيْءٍ إِلَّآ أَنْ تَتَّقُوْا مِنْهُمْ تُقٰىةً

---

اللہ ژی چھُوک ساری ملکُک مالِک۔ عطا چھُوکھ کران ژی ملکُ یَس یژھان چھُکھ وَتَنْزِعُ الْمُلْكَ مِمَّنْ تَشَآءُ اتھ چھُکھ ہیوان ملکُ یَس نشہِ یژھان چھُوکھ وَتُعِزُّ مَنْ تَشَآءُ وَتُذِلُّ مَنْ تَشَآءُ بیہِ چھُوکھ عِزّت دِوان تَس یَس یژھان چھُوکھ۔ بیہِ چھُھن ذلیل کران سُویُس یژھان چھُھن بِيَدِكَ الْخَيْرُ ژی اتھِ چھُو سورُی خیر إِنَّكَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ بیشک ژی چھُوکھ پریتھ چیزس پیٹھ قدرتہ وول تُوْلِجُ الَّيْلَ فِي النَّهَارِ وَتُوْلِجُ النَّهَارَ فِي الَّيْلِ داخِل چھوہَن کران راتھ دوہَس منز۔ بیہِ چھوہن دوہ داخِل کران راتس منز یعنی مختلف موسمن اندر۔ راژ ہُندِ وقت کم کرتھ دوہ بڑاوان۔ دُہک وقت کم کرِت رات بڑاوان۔ وَتُخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ بیہِ چھوہُن ژے جاندار کڈان بے جانس نشہِ۔ پُوت ٹھُولہ منزہ وَتُخْرِجُ الْمَيِّتَ مِنَ الْحَيِّ بیہِ چھوہَن ژی بے جان کڈان جاندارس نشہِ۔ ٹھُول جانورس نشہِ وَتَرْزُقُ مَنْ تَشَآءُ بِغَيْرِ حِسَابٍ بیہِ چھُوکھ ژی رزق عطا کران یَس یژھان چھُوک تہ تَس حسابہ ورای اسباب ذرایعو ورای لَا يَتَّخِذِ الْمُؤْمِنُوْنَ الْكٰفِرِيْنَ أَوْلِيَآءَ مِنْ دُوْنِ الْمُؤْمِنِيْنَ مہ بناوِن تہ مہ تھاوِن بالایمان کافرن پنن دوست۔ بالایمان مسلمان تراوِتھ وَمَنْ يَّفْعَلْ ذٰلِكَ فَلَيْسَ مِنَ اللّٰهِ فِيْ شَيْءٍ یُس اکھاہ یژھہ کام کرِہ پَس چھُونہ تس خدایس سیت کانہہ تعلّقاہ کُنہِ چیزس اندر یعنی خدایہ سندین دُشمن سیت تِہم دوستی لاجِ سُو شوبہِ نہ خدایہ سُند دوست۔ تس ژھیون خدایہ سنزِہ دوستی ہُند تعلق إِلَّآ أَنْ تَتَّقُوْا مِنْهُمْ تُقٰىةً مگرے تِمن ہندہ شرہ نشہِ بچنہ خیطرہ ظاہر داری سان پکنہ بیہِ وَيُحَذِّرُكُمُ اللّٰهُ نَفْسَهٗ

وَيُحَذِّرُكُمُ اللّٰهُ نَفْسَهٗ ؕ وَاِلَى اللّٰهِ الْمَصِيْرُ ﴿۲۸﴾ قُلْ اِنْ تُخْفُوْا مَا فِيْ صُدُوْرِكُمْ اَوْ تُبْدُوْهُ يَعْلَمْهُ اللّٰهُ ؕ وَيَعْلَمُ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ؕ وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۲۹﴾ يَوْمَ تَجِدُ كُلُّ نَفْسٍ مَّا عَمِلَتْ مِنْ خَيْرٍ مُّحْضَرًا ۖۚ وَّمَا عَمِلَتْ مِنْ سُوْٓءٍ ۚ تَوَدُّ لَوْ اَنَّ بَيْنَهَا وَبَيْنَهٗٓ اَمَدًا ۢ بَعِيْدًا ؕ وَيُحَذِّرُكُمُ اللّٰهُ نَفْسَهٗ ؕ وَاللّٰهُ رَءُوْفٌ ۢ بِالْعِبَادِ ﴿۳۰﴾ قُلْ اِنْ كُنْتُمْ تُحِبُّوْنَ اللّٰهَ فَاتَّبِعُوْنِيْ

---

اللہ تعالیٰ چھُو توہہِ پننہ ذاتِ پاکہ نِشہِ کھوژہ ناوان یعنی پننہ بیزاری تہٕ غضبہ نِشہِ۔ تِمَس کھوژِو تہنز مہ کرِو نافرمانی وَاِلَى اللّٰهِ الْمَصِيْرُ اللہ تعالیٰ سی نشہِ چھُو پریتھ کانسہِ پتولا کہ واتنُ۔ آخر سُوکمہِ بُتھہِ سپدہِ تَس نِش پیش۔ قُلْ اِنْ تُخْفُوْا مَا فِيْ صُدُوْرِكُمْ اَوْ تُبْدُوْهُ يَعْلَمْهُ اللّٰهُ تُہہ فرماوِیُو کھ یارسُول اللہ ہر گاہ تُہہ پوٗشیدہ تھاوِو تمہِ کتھہ یمہِ تُہندین دلن اندر چھہ یا ننراوِو بہرحال تمہ سارے چھہ اللہ تعالیٰ اس معلوم وَيَعْلَمُ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ بیہِ چھُو تس معلوم تہٕ سورُی۔ یہِ آسمانَن اندر چھُو۔ یہ زمینس اندر چھُو وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ بیہِ چھُو اللہ تعالیٰ پریتھ چیزَس پیٹھ قدرتہٕ وول يَوْمَ تَجِدُ كُلُّ نَفْسٍ مَّا عَمِلَتْ مِنْ خَيْرٍ مُّحْضَرًا ۖۚ وَّمَا عَمِلَتْ مِنْ سُوْٓءٍ پریتھ کانسہِ چھُو خدا ایس نشہ واتنُ تمہِ دوہہ یمہِ دوہہ لبہِ پریتھ شخصاہ تہٕ سورُی یہِ تم کورمُت آسہِ خیر چُو کامیواندرہ پانس برونٹھ کنہِ بیہ تہٕ سورُی یہ تم کورمُت آسہِ تیچھ کامیو اندرہِ تتھہ تہٕ لبہِ پانس برونٹھ کنہِ تَوَدُّ لَوْ اَنَّ بَيْنَهَا وَبَيْنَهٗٓ اَمَدًا ۢ بَعِيْدًا تمنا کرہِ ہر گاہے میہ منزہ تہٕ یتھہ قیامتس منز آسہاز یتھہِ زیوٗٹھ وقتاہ۔ یہِ تمنا کرہِ سُو شخص یُس نیکیہ تہٕ وچھہِ تہٕ بدیہ تہٕ وچھہِ۔ وونِ یُس بدیئے بدیہ آسَن سُوکو تاہ افسوس تہٕ غم آسہِ کھیوان وَيُحَذِّرُكُمُ اللّٰهُ نَفْسَهٗ بیہِ چھُو اللہ تعالیٰ توہہِ کھوژہ ناوان پانس نِشہ یعنے پننہِ بیزاری نِشہِ۔ وَاللّٰهُ رَءُوْفٌ ۢ بِالْعِبَادِ بیہِ چھُو اللہ تعالیٰ مہربان پننہ نین بندن پیٹھہ۔ کھوژہ ناون تہندتہِ چھہ بڑ مہربانی۔ قُلْ اِنْ كُنْتُمْ تُحِبُّوْنَ اللّٰهَ فَاتَّبِعُوْنِيْ يُحْبِبْكُمُ اللّٰهُ فرماوِیُو کھ تُہہِ یارسول اللہ خدایہِ سندہِ محبتک دعویٰ دوہہ و نین کہِ ہر گاہ توہہِ خدا اُوٹھہ چھُوہ

يُحْبِبْكُمُ اللّٰهُ وَيَغْفِرْ لَكُمْ ذُنُوبَكُمْ ۗ وَاللّٰهُ غَفُورٌ رَّحِيمٌ ﴿٣١﴾ قُلْ
أَطِيعُوا اللّٰهَ وَالرَّسُولَ ۖ فَإِنْ تَوَلَّوْا فَإِنَّ اللّٰهَ لَا يُحِبُّ الْكٰفِرِينَ ﴿٣٢﴾
إِنَّ اللّٰهَ اصْطَفٰى اٰدَمَ وَنُوحًا وَّاٰلَ إِبْرٰهِيمَ وَاٰلَ عِمْرٰنَ عَلَى
الْعٰلَمِينَ ﴿٣٣﴾ ذُرِّيَّةً بَعْضُهَا مِنْ بَعْضٍ ۗ وَاللّٰهُ سَمِيعٌ عَلِيمٌ ﴿٣٤﴾
إِذْ قَالَتِ امْرَاَتُ عِمْرٰنَ رَبِّ إِنِّي نَذَرْتُ لَكَ مَا فِي بَطْنِي
مُحَرَّرًا فَتَقَبَّلْ مِنِّي ۖ إِنَّكَ أَنْتَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ ﴿٣٥﴾ فَلَمَّا وَضَعَتْهَا

---

تلہِ کړِو میانِ متابعت۔ تمہِ سیت بنوِ خدایہ سندِ محبوب وَيَغْفِرْ لَكُمْ ذُنُوبَكُمْ وَاللّٰهُ غَفُورٌ رَّحِيمٌ بیہِ کړِ وہ
مغفرِت تُھندین گنہن۔ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ ڈن سیٹھاہ رحم کرہ ڈن میانین تابعدارن
قُلْ أَطِيعُوا اللّٰهَ وَالرَّسُولَ فرماویوکھہ فرمانبرداری کرِو خدایہ سنزِ یہہِ تھندِس پیغمبرہ سنزِ فَإِنْ تَوَلَّوْا
فَإِنَّ اللّٰهَ لَا يُحِبُّ الْكٰفِرِينَ پس ہر گاہ تم بُتھہ پھِرَن اطاعت قبول کرن نہ پس اللہ تعالیٰ اُس چھِنہ
ٹاٹھِ کافر تہ مُنکر بندہ۔ تمِن بندن پیٹھہ چھُو اللہ تعالیٰ بیزار إِنَّ اللّٰهَ اصْطَفٰى اٰدَمَ وَنُوحًا وَّاٰلَ إِبْرٰهِيمَ
وَاٰلَ عِمْرٰنَ عَلَى الْعٰلَمِينَ پڑپاٹھِ اللہ تعالیٰ اَن کور حضرتِ آدم بیہِ حضرتِ نوح بیہِ خاندانِ حضرتِ
ابراہیم تہ خاندانِ حضرتِ عمران برگزیدہ سارنی عالمین پیٹھہ ذُرِّيَّةً بَعْضُهَا مِنْ بَعْضٍ تم اکھ
اکسندِ اولاد چھہِ وَاللّٰهُ سَمِيعٌ عَلِيمٌ اللہ تعالیٰ چھُو سورُی بوزان۔ سورُی زانان۔ تس چھہ خبر کوہ کتھہ
قابلِ چھُو إِذْ قَالَتِ امْرَاَتُ عِمْرٰنَ یلہِ حضرتِ عمرانہ سندیو باڑو دوپ تمن ناواوس حنہ رَبِّ إِنِّي
نَذَرْتُ لَكَ مَا فِي بَطْنِي مُحَرَّرًا اے میانہِ پروردگارہ بہ چھس نذر تھاوان چانہِ خیطرہ یہِ میانِس شکمس
منز اولاد چھُو۔ آزاد گژھہِ روزن سُو دنیاچو کامیو نشہِ چانہِ عبادتہ خیطرہ فَتَقَبَّلْ مِنِّي إِنَّكَ أَنْتَ السَّمِيعُ
الْعَلِيمُ پَس کرن قبول ژہ میانہِ طرفہ پڑپاٹھِ ژی چھُوکھہ سورُی بوزہ ڈن سورُوی زانہ ڈن۔ فَلَمَّا
وَضَعَتْهَا پَس یلہِ تَس زایہِ کُور قَالَتْ رَبِّ إِنِّي وَضَعْتُهَا أُنْثٰى دپن پروردگارمہ آس امیدمہِ زیوہِ نچُو۔
سُوی تھاون بو محض چانہِ عبادتہ خیطرہ بیت المقدسہ کہ خدمتہ خیطرہ آزاد۔ مگر میہ زایہِ کُور وَاللّٰهُ

قَالَتْ رَبِّ اِنِّیْ وَضَعْتُهَآ اُنْثٰىؕ وَاللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا وَضَعَتْؕ وَ
لَیْسَ الذَّكَرُ كَالْاُنْثٰىۚ وَاِنِّیْ سَمَّیْتُهَا مَرْیَمَ وَاِنِّیْۤ اُعِیْذُهَا
بِكَ وَذُرِّیَّتَهَا مِنَ الشَّیْطٰنِ الرَّجِیْمِ۝۳۶ فَتَقَبَّلَهَا رَبُّهَا بِقَبُوْلٍ
حَسَنٍ وَّاَنْۢبَتَهَا نَبَاتًا حَسَنًاۙ وَّكَفَّلَهَا زَكَرِیَّاؕ كُلَّمَا دَخَلَ عَلَیْهَا

---

اَعْلَمُ بِمَا وَضَعَتْ امسندِ اظہارہ ورای آس اللہ تعالیٰ اس خبری امسِ کیاہ زاو۔ مگرام کورِ اظہارِ ندامت پننہ طرفہ وَلَیْسَ الذَّكَرُ كَالْاُنْثٰى بیہ نچو چھُنہ کورِ ہیو۔ سُو چھُو آسان قوت وول تہ مشقت برداشت کرن وول وَاِنِّیْ سَمَّیْتُهَا مَرْیَمَ بیشک میہ کور امسِ کورِ ناو مریم یعنی عابدہ وَاِنِّیْۤ اُعِیْذُهَا بِكَ وَذُرِّیَّتَهَا مِنَ الشَّیْطٰنِ الرَّجِیْمِ وون چھس بو تھاوان سوبیہ تمسنز ذریت یلہ سوامسِ ژہ عطاکرکھ چانس پنہس منز۔ مردود شیطانہ سندِ شرہ نشہِ فَتَقَبَّلَهَا رَبُّهَا بِقَبُوْلٍ حَسَنٍ پس کر قبول سوٗ اللہ تعالیٰ ان پنچِ سندِ خو تہ زیادہ رتِ پاٹھِ۔ وَّاَنْۢبَتَهَا نَبَاتًا حَسَنًا وَّكَفَّلَهَا زَكَرِیَّا اللہ تعالیٰ ان دُیت امسِ رُت تھدن پائے تہ بڈن پائے یہ آس ونہِ ماجہ ہندِ س شکمسی اندر تہ حضرتِ عمران گوٚمہِ عالمہ۔ امہِ پتہ یلہِ یہِ زایہِ۔ امسنز والدہ حضرتِ حنہ آیہ بیت المقدسہ کین خادِمن نشہِ۔ دوپنکھ ریٹون یہِ میانِ کُوریوسہ مہِ بیت المقدسہ کہ خدمتہ خیطرہ نذر تھاومژ چھےِ۔ یمن خادمن پیوٚ اختلاف پرِیتھ اکِ کر خواہشِ بوی نتہ بوی رٹن یہِ کورپننہِ نگرانی اندر۔ حضرتِ ذکریا علیہ السلام تہِ اوس یموی اندرہ اکھِ خادِم بیتُ المقدسُک تموٚ دُوپ یہِ کُور روزِہ مہِ نشِ کیازِہ بۄ چھُوس امسُند ماسُو۔ امسنز ماس چھےِ میانسِ عقدِ نکاحس اندر۔ بہرحال اختلاف رفع کرنہ خیطرہ تراوِہ تموٚ چیرہ۔ چیرِہ تراونچ طریق آس تمِن دوہَن یہِ کہ قلم آسِ تراوان دریاوس اندر۔ یمسند قلم آبَس پیٹھِ ایستادِہ روزِہ ہا۔ ہیور کُن پکِہ ہا تمسندِہ حقہ اوس فیصلہ سپدان۔ چنانچہِ تموٚ خادِموٚ تہِ تراوِ نہرِ آروٚنس اندر پننِ قلم۔ تموٚ اندرہ رُود حضرتِ زکریا سُند قلم ایستادہ۔ ہیور کُن لوگ پکنہِ۔ پَس آیہِ تمنی یہِ حضرتِ مریم سُپرد کرنہ تموٚ بنووا کھ بالاخانہ۔ تتھہ منز تھا وکھ یہِ حضرتِ مریم۔ تتھہ بالاخانس آس تمِ ہیر لاگان۔ تمی ہیرِہ پیٹھِ آسِ تمِن نشہِ کُنہِ کُنہِ یوان۔ تمہِ پتہ

زَكَرِيَّا الْمِحْرَابَ ۙ وَجَدَ عِنْدَهَا رِزْقًا ۚ قَالَ يٰمَرْيَمُ اَنّٰى لَكِ هٰذَا ؕ
قَالَتْ هُوَ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ يَرْزُقُ مَنْ يَّشَآءُ بِغَيْرِ حِسَابٍ ﴿۳۷﴾
هُنَالِكَ دَعَا زَكَرِيَّا رَبَّهٗ ۚ قَالَ رَبِّ هَبْ لِىْ مِنْ لَّدُنْكَ ذُرِّيَّةً
طَيِّبَةً ۚ اِنَّكَ سَمِيْعُ الدُّعَآءِ ﴿۳۸﴾ فَنَادَتْهُ الْمَلٰٓئِكَةُ وَهُوَ قَآئِمٌ
يُّصَلِّىْ فِى الْمِحْرَابِ ۙ اَنَّ اللّٰهَ يُبَشِّرُكَ بِيَحْيٰى مُصَدِّقًا بِكَلِمَةٍ

---

آس سوہیر تلان۔ پانس سیت نوان تہ قفلس تل بند کرتھ تھاوان۔ كُلَّمَا دَخَلَ عَلَيْهَا زَكَرِيَّا الْمِحْرَابَ وَجَدَ عِنْدَهَا رِزْقًا یلہِ یلہِ حضرتِ ذکریا آسِ یوِان تمن نشہِ اتھ بالاخانس منز لبان آسِ تمن نشہِ عجیب وغریب رزقاہ۔ وندکِ میوہ ریتہ کالس منز۔ ریتہ کالک میوہ وندس منز قَالَ يٰمَرْيَمُ اَنّٰى لَكِ هٰذَا پرژھان آسکھ اے مریم مہ وراي چھونہ یوت ژ یہ نش کانہہ یوان یم چیز کتہ پھکھ ژہ انان قَالَتْ هُوَ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ اِنَّ اللّٰهَ يَرْزُقُ مَنْ يَّشَآءُ بِغَيْرِ حِسَابٍ دپان آس سۄ یہ چھُ خدایہ سندہ طرفہ واتان۔ پزپاٹھِ خدا چھُ رزق سوزان ییس یژھان چھُ تس حسابہ روستوی اسبابو تہ ذرایعو وراي۔ یہ بوزِتھ سپز عجیب کیفیاہ پیدہ حضرتِ ذکریا اس۔ تمن اوس نہ اولاد پننہِ بجرکہِ سببہ پننہ نین باژن ہندہِ ہانٹھ آسنہ سببہ آسِ اولادہ نشہِ سپد مت مایوس۔ مگر حضرت مریمہ سُند یہ کلام بوزنہ سیت سپز کھ اکھ امیداہ پیدہ۔ اتی کورُکھ اتھ محرابس۔ اتھ بالاخانس منز خدایس کُن رجوع تی چھُ فرماوان اللہ تعالیٰ هُنَالِكَ دَعَا زَكَرِيَّا رَبَّهٗ قَالَ رَبِّ هَبْ لِىْ مِنْ لَّدُنْكَ ذُرِّيَّةً طَيِّبَةً اِنَّكَ سَمِيْعُ الدُّعَآءِ امی وقتہ اتھ جایہِ مۆنگ دُعا حضرتِ ذکریاءَن۔ دوپُن اي میانہ پروردگارہ عطا کر میہ خاص پننہِ طرفہ پننہِ کمالِ قدرتہ سیت، رُت فرزنداہ۔ پاک نافرمانیو نشہِ۔ پزپاٹھِ ژ ی چھوک بوزہ ڈن قبول کرڈن دعاءَس فَنَادَتْهُ الْمَلٰٓئِكَةُ وَهُوَ قَآئِمٌ يُّصَلِّىْ فِى الْمِحْرَابِ پس دیُت آلو تمن ملائکو یلہِ تم نماز آسِ پران اتھ بالاخانس منز اَنَّ اللّٰهَ يُبَشِّرُكَ بِيَحْيٰى پزپاٹ اللہ تعالیٰ چھُ بشارت دِوان توہہِ فرزند عطا کرنچ یسند ناو چھُ یحیٰی مُصَدِّقًا بِكَلِمَةٍ مِّنَ اللّٰهِ وَسَيِّدًا وَّحَصُوْرًا وَّنَبِيًّا مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ یم تصدیق کرہ ڈن آسن اللہ تعالیٰ سندس

مِّنَ اللّٰهِ وَسَيِّدًا وَّحَصُوْرًا وَّنَبِيًّا مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿٣٩﴾ قَالَ رَبِّ اَنّٰى يَكُوْنُ لِيْ غُلٰمٌ وَّقَدْ بَلَغَنِيَ الْكِبَرُ وَامْرَاَتِيْ عَاقِرٌ ؕ قَالَ كَذٰلِكَ اللّٰهُ يَفْعَلُ مَا يَشَآءُ ﴿٤٠﴾ قَالَ رَبِّ اجْعَلْ لِّيْٓ اٰيَةً ؕ قَالَ اٰيَتُكَ اَلَّا تُكَلِّمَ النَّاسَ ثَلٰثَةَ اَيَّامٍ اِلَّا رَمْزًا ؕ وَاذْكُرْ رَّبَّكَ كَثِيْرًا وَّسَبِّحْ بِالْعَشِيِّ وَالْاِبْكَارِ ﴿٤١﴾ وَاِذْ قَالَتِ الْمَلٰٓئِكَةُ يٰمَرْيَمُ اِنَّ اللّٰهَ اصْطَفٰىكِ وَطَهَّرَكِ وَاصْطَفٰىكِ عَلٰى

---

کلمس یعنی حضرتِ عیسیٰ اُس بیہ چھہِ تم سزاوار تہ رغبت نہ کرہ ونِ زنانن کُن قادر آسِتھہ بیہ پیغمبراہ نیکوکار رواندرہ۔ قَالَ رَبِّ اَنّٰى يَكُوْنُ لِيْ غُلٰمٌ وَّقَدْ بَلَغَنِيَ الْكِبَرُ وَامْرَاَتِيْ عَاقِرٌ دوپُن ای میانہِ پروردگارہ کِتھہ پاٹھہِ بنہِ میہ فرزند۔ حالانکہ میہ چھو بجُرک وقت وو ثمت بیہ چھہ میان آشینِ ہانٹھ۔ قَالَ ملگن دوپُس كَذٰلِكَ اللّٰهُ يَفْعَلُ مَا يَشَآءُ یتھےَ پاٹھہ بغیر اسباب وذرائع۔ اللہ تعالیٰ یہ یژھان چھوتہِ چھو کران تس نِش چھونہ مُشکل کہنی چیز قَالَ رَبِّ اجْعَلْ لِّيْٓ اٰيَةً دوپُن پروردگار امیانہِ خیطرہ کرکینہہ علامتھاہ یمہِ سیت مہ معلوم سپدِہ ژیہہ کیاہ کورُتھہ میُون دُعا قبول ژیہ کیا کورُتھہ میہ فرزند عطا۔ قَالَ اللہ تعالیٰ ان فرمووُس اٰيَتُكَ اَلَّا تُكَلِّمَ النَّاسَ ثَلٰثَةَ اَيَّامٍ اِلَّا رَمْزًا نشان تہ علامت چون چھو ژہ ہیکھکنہ کتھہ کرتھہ لوکن سیت ترین دوہن مگر اِشارہ پاٹھہِ یانِ سُو حال ژہ پانس منز لبِکھہ تانِ زانزِہ اللہ تعالیٰ ان کورُی ژیہہ فرزند عطا۔ وَاذْكُرْ رَّبَّكَ كَثِيْرًا وَّسَبِّحْ بِالْعَشِيِّ وَالْاِبْكَارِ بیہ کر ژہ پنہ نِس پروردگارہ سُند یاد بکثرت۔ بیہ آسُن سُو پاکی یاد کران شامس تہ صُبحن تہِ۔ کیازہ اللہ تعالیٰ ان کور چون دُعا قبول۔ مایوسی تہ نامیدی پتہ کورنے فرزند عطا۔ وَاِذْ قَالَتِ الْمَلٰٓئِكَةُ يٰمَرْيَمُ اِنَّ اللّٰهَ اصْطَفٰىكِ وَطَهَّرَكِ وَاصْطَفٰىكِ عَلٰى نِسَآءِ الْعٰلَمِيْنَ بیہ پاوو ژِ تیس یلہِ ملکو دوپ حضرتِ مریمس بیشک اللہ تعالیٰ ان کُرکھہ ژہ برگزیدہ ژہ کرنکھ قبول ماجہ ہُند نذر بیہ کُرنکھہ پاک سارِوی آلودہ گیوٗ نِشہِ۔ بیہ کرنکھ ژی منتخب عالمُو زنانو اندرہ۔ ژی یُوت کورُنے عطا فرزند ماُلس ورائِ يٰمَرْيَمُ اقْنُتِيْ لِرَبِّكِ وَاسْجُدِيْ وَارْكَعِيْ

نِسَآءِ الْعٰلَمِیْنَ ﴿۴۲﴾ یٰمَرْیَمُ اقْنُتِیْ لِرَبِّكِ وَاسْجُدِیْ وَارْكَعِیْ مَعَ الرّٰكِعِیْنَ ﴿۴۳﴾ ذٰلِكَ مِنْ اَنْۢبَآءِ الْغَیْبِ نُوْحِیْهِ اِلَیْكَ ؕ وَمَا كُنْتَ لَدَیْهِمْ اِذْ یُلْقُوْنَ اَقْلَامَهُمْ اَیُّهُمْ یَكْفُلُ مَرْیَمَ ۪ وَمَا كُنْتَ لَدَیْهِمْ اِذْ یَخْتَصِمُوْنَ ﴿۴۴﴾ اِذْ قَالَتِ الْمَلٰٓىِٕكَةُ یٰمَرْیَمُ اِنَّ اللّٰهَ یُبَشِّرُكِ بِكَلِمَةٍ مِّنْهُ ۖۗ اسْمُهُ الْمَسِیْحُ عِیْسَى ابْنُ مَرْیَمَ وَجِیْهًا فِی الدُّنْیَا وَالْاٰخِرَةِ وَمِنَ الْمُقَرَّبِیْنَ ﴿۴۵﴾ ۙ

---

مَعَ الرّٰكِعِیْنَ اے مرِیَم عبادت آس کران پنہٕ نِس پروردگارہ سنز یُتھہ نہ برگزیدہ گی ہند غرور پیدہ سپدی۔ بیہِ آس سجدہ تہٕ رکُوع کران یعنی نماز پران بین نمازہ پرہوِنین سیت ذٰلِكَ مِنْ اَنْۢبَآءِ الْغَیْبِ یِم قِصہٕ چھہٕ غیبہٕ چو خبرٕ وٲندرہ نُوْحِیْهِ اِلَیْكَ یمہٕ خبرہ اَسِ توہہٕ ژُن یارسُول اللہ بطریقِ وحی سوزان چھہٕ۔ وَمَا كُنْتَ لَدَیْهِمْ توٕہِ ما آسِوہ تِمن احبارن تہٕ خادِمَن نِش اِذْ یُلْقُوْنَ اَقْلَامَهُمْ یلہٕ تِم دریاوس منز پننِ قلم تراوان آسِ آبس منز چیرہ تراوِتھہ دریافت کرنہ خیطرہ۔ یہِ آس تمہ وقتہ چیرِ ہ تراوُنچ طریق۔ یاکور تِمو خادِموٕ اِتھےَ پاٹھِ پانہ وانِ فیصلہ کہ قلم تراوو دریاوَس منز و چھو کمسُند قلم روزِہ آبس اندر روودنہ۔ تِمسند قلم آبس منز وودنہِ روزہِ سُوی کرہِ حضرتِ مرتِمَس پرورش اَیُّهُمْ یَكْفُلُ مَرْیَمَ نِمواحبارٕ واندرہ کُس کرہِ کفالت حضرتِ مرتِمہٕ سنز وَمَا كُنْتَ لَدَیْهِمْ اِذْ یَخْتَصِمُوْنَ بیہِ آسوہ نہ تہہٕ تِمن نِشہِ یلہِ تِم پانہ وانِ تنازعہ آسِ کران اِذْ قَالَتِ الْمَلٰٓىِٕكَةُ یٰمَرْیَمُ اِنَّ اللّٰهَ یُبَشِّرُكِ بِكَلِمَةٍ مِّنْهُ ژٕ تیں پاوِ ویلہِ وون ملائکو حضرتِ مرتِمَس پزٕ پاٹھہ اللہ تعالیٰ چھُوی ژٕ یہِ بشارت فرماوان اَکِس کلمہ سنزٕ یُس تہندی طرفہ آسہِ اسْمُهُ الْمَسِیْحُ عِیْسَى ابْنُ مَرْیَمَ تِمسند ناو آسہِ مسیح عیسیٰ مریمہ سُند نیچُو۔ مسیح چھُوس لقب۔ عیسیٰ چھُوس ناوٕ۔ بعضی وقتہ چھُو لقب ناوس پیٹھہ مقدم یوان کرنہ تعظیمہ خیطرہ وَجِیْهًا فِی الدُّنْیَا وَالْاٰخِرَةِ وَمِنَ الْمُقَرَّبِیْنَ یُس باعزت باوقار آسہِ دنیا و آخرِتس منز بیہِ پروردگارہ سندیو مُقرب بندٕ واندرہ وَیُكَلِّمُ النَّاسَ فِی الْمَهْدِ وَكَهْلًا بیہِ کرہِ سُو کلام لُوکن سیت منزٕ لَس اندر تھِ

وَيُكَلِّمُ النَّاسَ فِي الْمَهْدِ وَكَهْلًا وَّمِنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿٤٦﴾ قَالَتْ رَبِّ اَنّٰى يَكُوْنُ لِيْ وَلَدٌ وَّلَمْ يَمْسَسْنِيْ بَشَرٌ ۭ قَالَ كَذٰلِكِ اللّٰهُ يَخْلُقُ مَا يَشَآءُ ۭ اِذَا قَضٰٓى اَمْرًا فَاِنَّمَا يَقُوْلُ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ ﴿٤٧﴾ وَيُعَلِّمُهُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ وَالتَّوْرٰىةَ وَالْاِنْجِيْلَ ﴿٤٨﴾ وَرَسُوْلًا اِلٰى بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ ۙ اَنِّىْ قَدْ جِئْتُكُمْ بِاٰيَةٍ مِّنْ رَّبِّكُمْ ۙ اَنِّىْٓ اَخْلُقُ

پاڻھِ يتھ پاڻھِ بوڈ واتھ جوان سپد تھ کرِہ کلام وَّمِنَ الصّٰلِحِيْنَ بیہ آسہ سُو نیکو کارَو اَندرہ قَالَتْ رَبِّ اَنّٰى يَكُوْنُ لِيْ وَلَدٌ وَّلَمْ يَمْسَسْنِيْ بَشَرٌ حضرتِ مریمن دوپ پروردگارہ مےٚ کتھہ پاڻھ بنہِ اولاد حالانکہ مےٚ چھُونہ اتھہ تہِ لوگمت کانسہِ انسانن۔ کانہہ مرد چھُونہ مے نزدیک آمُت نہ جائیز طریقہ پاڻھِ نہ ناجائز طریقہ پاڻھِ۔ عادتاً چھُونہ بچہِ زیوان مردہ سندِہ نزدیک یِنہ ورای کانسہِ زنانہ۔ معلوُم چھُونہ کہ اللہ تعالیٰ کتھہ پاڻھِ کرِہ مےٚ فرزند عطا۔ کانسہِ سیت نکاح کرِتھ کرمہ عطا یِنہ محض پنہٕ قدرتِ کاملہ سیت کریم عطا قَالَ اللہ تعالیٰ اَن فرموو س ملکہ سندِہ واسطہ كَذٰلِكِ تتھے پاڻھِ یعنے پنہٕ قدرتِ کاملہ سیت۔ اللّٰهُ يَخْلُقُ مَا يَشَآءُ اللہ تعالیٰ چھُو پیدہ کران اسبابو تہ ذرایعو ورای یہ یژھان چھُو تہ اِذَا قَضٰٓى اَمْرًا فَاِنَّمَا يَقُوْلُ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ سویلہ کُنہ چیز کہِ پیدہ کرنکُ اِرادہ کران چھُو پَس چھُونہ لَس کنہہ کرن آسان فقط فرماوُن تتھہ کُن یہ تھندِس علمس منز آسان چھُو کہِ سپدَ۔ اتی چھُو چیز سپد وَيُعَلِّمُهُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ وَالتَّوْرٰىةَ وَالْاِنْجِيْلَ بیہِ ہیچھناوِہ لَس چانس فرزندس کِتاب یعنی پرُن تہ لیکھُن بیہِ گاٹہ جارچہ کتھہ بیہِ توراۂت تہ انجیل۔ بعضے عالمو فرموو کتابہِ اندرہ چھُو مُراد قرآن و حدیث۔ کیازہ آخرِ زمانس منزیلہِ حضرتِ عیسیٰ آسمانہ پیٹھہ نازِل سپدِہ بَر زمین تمہِ وقتہ کرِہ سُو پیروی بکتاب و سنت حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلم وَرَسُوْلًا اِلٰى بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ بیہ سوزِہ لَس سارنی بنی اسرائیلن کُن پیغمبر یُس فرماوِہ تمن اَنِّىْ قَدْ جِئْتُكُمْ بِاٰيَةٍ مِّنْ رَّبِّكُمْ ای بنی اسرائیلو بہٕ آسوہ توہہِ ہیتھہ کینہہ معجزہ تھُندِس پروردگارہ سندِہ طرفہ یم معجزہ میانِس پیغمبر آسنس پیٹھہ دلالت چھہِ کران اَنِّىْٓ اَخْلُقُ لَكُمْ مِّنَ الطِّيْنِ كَهَيْـَٔةِ الطَّيْرِ فَاَنْفُخُ فِيْهِ

لَكُم مِّنَ الطِّينِ كَهَيْـَٔةِ الطَّيْرِ فَأَنفُخُ فِيهِ فَيَكُونُ طَيْرًۢا بِإِذْنِ
اللَّهِ ۖ وَأُبْرِئُ الْأَكْمَهَ وَالْأَبْرَصَ وَأُحْيِ الْمَوْتَىٰ بِإِذْنِ اللَّهِ ۖ وَ
أُنَبِّئُكُم بِمَا تَأْكُلُونَ وَمَا تَدَّخِرُونَ فِي بُيُوتِكُمْ ۚ إِنَّ فِي ذَٰلِكَ
لَآيَةً لَّكُمْ إِن كُنتُم مُّؤْمِنِينَ ﴿٤٩﴾ وَمُصَدِّقًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيَّ مِنَ
التَّوْرَاةِ وَلِأُحِلَّ لَكُم بَعْضَ الَّذِي حُرِّمَ عَلَيْكُمْ ۚ وَجِئْتُكُم
بِآيَةٍ مِّن رَّبِّكُمْ فَاتَّقُوا اللَّهَ وَأَطِيعُونِ ﴿٥٠﴾ إِنَّ اللَّهَ رَبِّي وَرَبُّكُمْ

---

فَيَكُونُ طَيْرًۢا بِإِذْنِ اللَّهِ بیشک بہ بناون تہندہِ خیطرہ میٹرٕ ہُند جانوراہ۔ تس دِمہ پھوکھ۔ سُوبنہ وُڈہوُن جانور خدایہِ سندہ حکمہٕ سیت۔ دوٚیُم معجزہ گو وَأُبْرِئُ الْأَكْمَهَ وَالْأَبْرَصَ وَأُحْيِ الْمَوْتَىٰ بِإِذْنِ اللَّهِ بیہِ بلہ راوَن بوٚ سُوٚیُس اوٗنوی زامُت آسہِ ماجہِ۔ تس یِیہِ اَچھَن گاش۔ بیہ بلہ راوَن بوٚ بُہترِ ولدہ۔ یُس بدنس آسَن سفید داغ۔ یُم زہ مرض آسِ تمہِ وقتہٕ لاعلاج۔ چنانچہ اکی دوہہ بلراوِ تمو پنژاہ ساس (۵۰،۰۰۰) بیمارامہِ قسمکِ۔ بیہِ کرِکھ زِندہ مومتِ اِنسان خدایہِ سندہ حُکمہ سیت وَأُنَبِّئُكُم بِمَا تَأْكُلُونَ وَمَا تَدَّخِرُونَ فِي بُيُوتِكُمْ بیہِ کرووہ بوٚ توہہِ خبر تِچِہ یہ تُہہ کھیوان چھوِہ بیہِ یہ تہہ گرن اندر موٗجود تھاوان چھوِہ۔ إِنَّ فِي ذَٰلِكَ لَآيَةً لَّكُمْ إِن كُنتُم مُّؤْمِنِينَ بیشک اتھ منز چھہ بڈ دلیل تہندہِ خیطرہ ہرگاہ تہہ پڑھہ کرہِ وِن چھوِہ وَمُصَدِّقًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيَّ مِنَ التَّوْرَاةِ بیہِ چھُس بوٚ توہہِ کُن یِوان تتھ کتابہِ تصدیق کران یُوسہ مہ بروٚنٹھہ چھہ نازِل کرنہ آمژ۔ سوٚ کتاب گئیہ تورایت وَلِأُحِلَّ لَكُم بَعْضَ الَّذِي حُرِّمَ عَلَيْكُمْ بیہِ آس بُہ توہہِ کُن یُتھہ بہٕ حلال کرہ تہندہِ خیطرہ تمو چیز واندرہ بعضے چیز یم توہہ پیٹھہ حرام آمتِ آسِ کرنہ یہ میون دعواے نسخ چھونہ بلا دلیل بلکہِ وَجِئْتُكُم بِآيَةٍ مِّن رَّبِّكُمْ بیہِ آس بہٕ توہہِ کُن تہندِس خدایہِ سندہ طرفہ اَچِ دلیل ہیتھہ۔ سو دلیل گئیہِ میون نبی آسُن فَاتَّقُوا اللَّهَ پس کھوژِو اللہ تعالیٰ اَس تہندسِ حُکمس مہ کرِو مخالفت وَأَطِيعُونِ دینہٕ کس معاملس منز مانو میون حکم۔ خلاصہ میانہِ دینی تعلیمہ ہُند چھوایِ کہِ إِنَّ اللَّهَ رَبِّي وَرَبُّكُمْ فَاعْبُدُوهُ هَٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيمٌ پزپاٹھہِ اللہ تعالیٰ چھو میون

فَاعْبُدُوْهُ ۗ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ﴿۵۱﴾ فَلَمَّآ اَحَسَّ عِيْسٰى مِنْهُمُ
الْكُفْرَ قَالَ مَنْ اَنْصَارِيْٓ اِلَى اللّٰهِ ۗ قَالَ الْحَوَارِيُّوْنَ نَحْنُ
اَنْصَارُ اللّٰهِ ۚ اٰمَنَّا بِاللّٰهِ ۚ وَاشْهَدْ بِاَنَّا مُسْلِمُوْنَ ﴿۵۲﴾ رَبَّنَآ اٰمَنَّا
بِمَآ اَنْزَلْتَ وَاتَّبَعْنَا الرَّسُوْلَ فَاكْتُبْنَا مَعَ الشّٰهِدِيْنَ ﴿۵۳﴾
وَمَكَرُوْا وَمَكَرَ اللّٰهُ ۗ وَاللّٰهُ خَيْرُ الْمٰكِرِيْنَ ﴿۵۴﴾ ع اِذْ قَالَ اللّٰهُ

---

ته تهند معبود پس کرو تهنزی عِبادت۔ یُوہے چھوہ راہِ راست۔ یتھ وتہ کُن ساری پیغمبر آی نادِ دوان
فَلَمَّآ اَحَسَّ عِيْسٰى مِنْهُمُ الْكُفْرَ پس یلہِ ژیون حضرتِ عیسیٰ اَن تِمَن بنی اسرائیلن نشہِ تهند اِنکار تہ کُفر
قَالَ مَنْ اَنْصَارِيْٓ اِلَى اللّٰهِ دوپھ بنی اسرائیلن کُن کُوہ اکھاہ چھُو توہہِ اَندرہ میون مددگار خدایس کُن
لُوکن نادِ دِنہ خیطرہ قَالَ الْحَوَارِيُّوْنَ روشن دِلو اندرہ خدایس کُن رجوع کرہ وِنیو اَندرہ وژھ اکھ
جماعتھاہ تم آسِ باہ زنِ۔ تِموِی دُوپ نَحْنُ اَنْصَارُ اللّٰهِ اسِ چھِ خدایہ سندہ دِینک مددگار اٰمَنَّا بِاللّٰهِ
اسہِ اون ایمان تہ اسہِ کُر پژھ کُنس خدایس وَاشْهَدْ بِاَنَّا مُسْلِمُوْنَ اے عیسیٰ تھہ رُوزِ گواہ۔ اَسِ چھِ
فرمانبردار اکھس خدایہ سندِ بیہ تهندِ۔ رَبَّنَآ اٰمَنَّا بِمَآ اَنْزَلْتَ وَاتَّبَعْنَا الرَّسُوْلَ فَاكْتُبْنَا مَعَ الشّٰهِدِيْنَ ای
سانہِ پروردگارہ اَسہِ اُون ایمان تتھ سارسی یہ ژیہ نازِل کورُتھ۔ بیہ کراسہِ پیروی تِمس چانس پیغمبرس
حضرتِ عیسیٰ اَس۔ پس لیکھ اسہِ تہِ شاہِدن سیت وَمَكَرُوْا بیہ کُر یہُودو واریاہ حیلہ تہ مکر۔ پوشیدہ
تدبیر حضرتِ عیسیٰ اَس تہ حوارئین تکلیف واتناونہ خیطرہ وَمَكَرَ اللّٰهُ اللہ تعالیٰ اَن تہِ کُرِ تم تدبیر
یِمو سیت حضرتِ عیسیٰ ان تہ حوارئینو نجات لوب۔ یہُودن ہندِ تدبیر میلِ خاکس سیت۔ چنانچہ
یہوُدیلہِ تِم گرفتار کرنہ تہ توپتہ کاٹھس پیٹھ کھارِنہ خیطرہ تیاری کُر اللہ تعالیٰ اَن کُر بیَیس اکس شخصس
حضرتِ عیسیٰ سنز شکل تہ تِم کھارِن آسمانس پیٹھ۔ یُس شخص حضرتِ عیسیٰ سنزِ شکلہِ بناونہ آو
سُوروٹ تِمو یہُودو تہ دیُتکھ پھہِ۔ اللہ تعالیٰ چھُو اتھ متعلق بیس جایہ فرماوان وَمَا قَتَلُوْهُ وَمَا صَلَبُوْهُ
وَلٰكِنْ شُبِّهَ لَهُمْ ۔ وَاللّٰهُ خَيْرُ الْمٰكِرِيْنَ اللہ تعالیٰ چھُو سارِوی تدبیر کرہ وِنیو اَندرہ بہتر تدبیر کرہ

يٰعِيْسٰٓى اِنِّىْ مُتَوَفِّيْكَ وَرَافِعُكَ اِلَىَّ وَمُطَهِّرُكَ مِنَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَجَاعِلُ الَّذِيْنَ اتَّبَعُوْكَ فَوْقَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ ۚ ثُمَّ اِلَىَّ مَرْجِعُكُمْ فَاَحْكُمُ بَيْنَكُمْ فِيْمَا كُنْتُمْ فِيْهِ تَخْتَلِفُوْنَ ﴿٥٥﴾ فَاَمَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَاُعَذِّبُهُمْ عَذَابًا شَدِيْدًا فِى الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ۫ وَمَا لَهُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ ﴿٥٦﴾ وَاَمَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فَيُوَفِّيْهِمْ اُجُوْرَهُمْ ۭ وَ

---

وُن اِذْ قَالَ اللّٰهُ سُووقت کَرِ ویادیلِہ اللہ تعالیٰ ان فرموو حضرتِ عیسیٰ اَس يٰعِيْسٰٓى اى عیسیٰ کینہہ غَم مہ بر اِنِّىْ مُتَوَفِّيْكَ بیشک بوچھوس ژیہ وفاتِ دِوہ وُن پنہ نِس موقعس پیٹھہ۔ لہٰذا مہ کھوژ ژہ یِم دُشمن ماکھارنم کاٹھس پیٹھہ۔ یُژِ مہ نہ تِمن تِمیک موقعہ۔ وَرَافِعُكَ اِلَىَّ بلکہ کھارت ژہ بوپانس کُن۔ واتناوتھ بو ژہ عالمِ بالااس منز وَمُطَهِّرُكَ مِنَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بیہِ کرت بُژ ژہ پاک مُنکرن ہنز و تہمتو نِشہِ۔ یعنی بو رچھت ژہ تِمن لوکن ہندیوارِ ادو نِشہِ۔ یِمو ژیہ اِنکار کوٗرُی وَجَاعِلُ الَّذِيْنَ اتَّبَعُوْكَ فَوْقَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ بیہِ کرکھ بوچانِ پیرو۔ چون حُکم مانن والِ غالِب تِمن لُوکن پیٹھہ یِمو ژیہ اِنکار کوٗرُی قیامتس دوہس تانِ ثُمَّ اِلَىَّ مَرْجِعُكُمْ تو پتہ چھہ مےٚ کُن توہہ سارنی ہندِہ واتنج جائے۔ فَاَحْكُمُ بَيْنَكُمْ پس کرٕہ بوی فیصلہ توہہِ منز فِيْمَا كُنْتُمْ فِيْهِ تَخْتَلِفُوْنَ تِمن سارنی معاملن منز یِمَن منز تہہُ اختلاف کران آسِو۔ تِمو چیز واندرہ گواکھ معاملہ حضرتِ عیسیٰ سُند۔ اَتھہ تہِ کرہ بُوی فیصلہ فَاَمَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا پس تِم لُوکھ یِمو کُفر تہ اِنکار کور یعنی یہود و نصاریٰ فَاُعَذِّبُهُمْ عَذَابًا شَدِيْدًا فِى الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ پَس کرہ بُو تِمن سخت عذاب۔ دنیاء س منز تہِ آخرتس منز تہِ۔ وَمَا لَهُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ بیہِ آسِنہ تِمن کانہہ مددگار اہ تِمہِ عذابہ نِشہِ موکلاونہ خیطرہ وَاَمَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وونِ یِمو لُوکو ایمان اونُ پزِھ کَرکھ کُنِس خدایس بیہِ کریکھ رژہ عملہ فَيُوَفِّيْهِمْ اُجُوْرَهُمْ پس کرِہ اللہ تعالیٰ تِمن پوٗر مزورِ عطا وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ الظّٰلِمِيْنَ اللہ تعالیٰ اَس چھنہِ پسند

اللهُ لَا يُحِبُّ الظّٰلِمِيْنَ ﴿۵۷﴾ ذٰلِكَ نَتْلُوْهُ عَلَيْكَ مِنَ الْاٰيٰتِ وَ
الذِّكْرِ الْحَكِيْمِ ﴿۵۸﴾ اِنَّ مَثَلَ عِيْسٰى عِنْدَ اللّٰهِ كَمَثَلِ اٰدَمَ ؕ خَلَقَهٗ
مِنْ تُرَابٍ ثُمَّ قَالَ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ ﴿۵۹﴾ اَلْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ فَلَا
تَكُنْ مِّنَ الْمُمْتَرِيْنَ ﴿۶۰﴾ فَمَنْ حَآجَّكَ فِيْهِ مِنْ بَعْدِ مَا جَآءَكَ
مِنَ الْعِلْمِ فَقُلْ تَعَالَوْا نَدْعُ اَبْنَآءَنَا وَ اَبْنَآءَكُمْ وَ نِسَآءَنَا وَ
نِسَآءَكُمْ وَ اَنْفُسَنَا وَ اَنْفُسَكُمْ ۟ ثُمَّ نَبْتَهِلْ فَنَجْعَلْ لَّعْنَتَ اللّٰهِ

---

ظالم ذٰلِكَ نَتْلُوْهُ عَلَيْكَ مِنَ الْاٰيٰتِ وَ الذِّكْرِ الْحَكِيْمِ یہِ سوٗری قِصہ حضرتِ عیسیٰ سُند چھِ اَسِ توہہِ پیٹھہ پران یا رسوٗل اللہ صلی اللہ علیہ وسلم۔ یمہِ چھہ بجہِ دلیلہ تہُندِس نبوّتس پیٹھہ۔ بیہ چھوٗ یہ قرآنِ مجید محکم بیان۔ اِنَّ مَثَلَ عِيْسٰى عِنْدَ اللّٰهِ كَمَثَلِ اٰدَمَ ۔ بڑ پاٹھ حضرتِ عیسیٰ سنز مِثال چھہ خدائس نِش حضرتِ آدمہ سنز ہِش۔ خَلَقَهٗ مِنْ تُرَابٍ حضرتِ آدم کوٗرن پادہ مژِہ نِشہِ نہ اوٗس موٗلی تہ نہ اوٗس موٗجی ثُمَّ قَالَ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ توٗ پتہ فرموٗن تَس سپدِہ پیدہ اِنسان، اِتی سپد تِتھے پاٹھہِ فرموٗن حضرت عیسیٰ سپدِہ پیدہ مالسِ ورای، تی سپُد۔ حضرتِ آدمہ سند مالسِ ماجہ ورائی پیدہ سپدُن اوس زیادہ عجائیب مگر تہنزِہ اُلوہیتکُ چھوٗنہ کانہہ تہ ذکر کران حضرتِ عیسیٰ زاو مالسِ ورای ماجہِ نِشہِ۔ تہندِس پیدہ سپدنس چھِہ لوکھہ زیادہ عجائیب زانتھ تِمن متعلق خدا آسنک دعوے کران۔ اَلْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ فَلَا تَكُنْ مِّنَ الْمُمْتَرِيْنَ پوز چھوٗتی یہ حضرتِ عیسیٰ اَس متعلق ووت توہہِ نِشہِ پنہ نِس پروردگارہ سندِہ طرفہ پس مہ آسِو تہہ شک تہ شُبہ کرہ وِنیو اندرہ فَمَنْ حَآجَّكَ فِيْهِ مِنْ بَعْدِ مَا جَآءَكَ مِنَ الْعِلْمِ پَس یُس اکھاہ توہہِ سیت اتھہ معاملس منز ہرَ تہ قضیہ کرہِ توہہِ نِشہِ اُمیک علم واتنہ پتہ سوٗ کریون تہہ مغلوب بیہ طریقہ لس سیت کرِ و تہہ مباہلہ فَقُلْ تَعَالَوْا نَدْعُ اَبْنَآءَنَا وَ اَبْنَآءَكُمْ وَ نِسَآءَنَا وَ نِسَآءَكُمْ وَ اَنْفُسَنَا وَ اَنْفُسَكُمْ ثُمَّ نَبْتَهِلْ فَنَجْعَلْ لَّعْنَتَ اللّٰهِ عَلَى الْكٰذِبِيْنَ پس فرماویو کھ ای عیسائیو وِلو اَسِ دِموٗنا دتو پتہ سونبراوو کھہ پنٕنِ لوکٹِ تہ تہُندِ لوکٹ۔ نیٖنہِ زنانہ تہ تہنزِہ زنانہ۔ بیہ پنٕنِ پان تہ تہُندِ پان۔ ساری سمِت گرِو

عَلَى الْكٰذِبِيْنَ ﴿٦١﴾ اِنَّ هٰذَا لَهُوَ الْقَصَصُ الْحَقُّ ۚ وَمَا مِنْ
اِلٰهٍ اِلَّا اللّٰهُ ؕ وَاِنَّ اللّٰهَ لَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿٦٢﴾
فَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌۢ بِالْمُفْسِدِيْنَ ﴿٦٣﴾ ع قُلْ يٰٓاَهْلَ
الْكِتٰبِ تَعَالَوْا اِلٰى كَلِمَةٍ سَوَآءٍۢ بَيْنَنَا وَبَيْنَكُمْ اَلَّا نَعْبُدَ اِلَّا
اللّٰهَ وَلَا نُشْرِكَ بِهٖ شَيْـًٔا وَّلَا يَتَّخِذَ بَعْضُنَا بَعْضًا اَرْبَابًا

---

خدایس کُن اِلتجا۔ تو پتہ منگو خدایس لعنت اپزیارین ہندِ ہ خیطر ہ۔ اسِ وَنو یا اللہ یُس اسہِ منزہ اپزیُور چھُو
حضرتِ عیسٰی سندِ س معاملس اندر تمس کر لعنت۔ اَتھ چھہِ و نان مباہلہ۔ نجرانک عیسائی یم بحث کرنہِ
آسِ آمت تِمو دوٗپ ہکھہ آسہِ دِیِو سونچُن مہلت۔ تِمن اندرہ یم گاٹلِ ہی آسِ تِمو دُوپ بین عیسائین
پننہِ جایہِ چھہ کَتھ توہہِ چھُو معلوُم یہِ صاحب چھُو بیشک پیغمبر خُدا۔ یہِ تہِ چھُو توہہِ معلوُم کہ یم قومن
کانسہِ پیغمبرس سیت مُباہلہ کور سُو قوم گو فنا تہ تباہ۔ لہٰذا چھُوئی مشورہ اَمسِ صاحبس سیت کرِو اَسِ
مصالحت۔ چنانچہِ درای امی خیالہ۔ یُورہ آسِ درامت نبیؐ کریم صلی اللہ علیہ وسلم۔ سیت آسِکھ
حضرتِ علی۔ حضرتِ سیدۃ النساء فاطمہ زہرا حضرتِ امام حَسَن تہ حضرتِ امامِ حُسین۔ تِمنِ صاحبَن
اوسُکھ فرموومُت بو کرہ دُعا تہہِ کُر زہِ آمین۔ مگر یلہِ یم عیسائی نزدیک واتِ تِمنِ نشہِ عرض کور ہگ اَسِ
حض کرونہ مباہلہ توہہ سیت کینہہ تہِ۔ پس سپز یمن سیت مصالحت۔ حدیث شریفس منز چھُو آمُت
ہر گاہ یم عیسائی مباہلہ کرہَن۔ مال و جانہ گژھہَن تباہ و برباد اِنَّ هٰذَا لَهُوَ الْقَصَصُ الْحَقُّ پزپاٹھہِ یہِ ذِکرِ
کرنہ آو یم چھہ پزِ واقعات وَمَا مِنْ اِلٰهٍ اِلَّا اللّٰهُ بیہِ چھُونہ کانہہ معبود آسنس سزاوار۔ اللہ تعالیٰ
اس ورای۔ وَاِنَّ اللّٰهَ لَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ بیہِ چھُو پزپاٹھہِ اللہ تعالیٰ سیٹھاہ غالِب۔ سیٹھاہ
حکمتہ وول فَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌۢ بِالْمُفْسِدِيْنَ پس اگر یم تو تہِ حق قبول کرنہ نشہِ بُتھ پھِرن۔ پس
پُتر اَو تہہ یہِ معاملہ خدایس سُو چھُو پوٗر زانان مُفسدِن۔ سُو ہیہِ پائے تِمن انتقام قُلْ يٰٓاَهْلَ الْكِتٰبِ
تَعَالَوْا اِلٰى كَلِمَةٍ سَوَآءٍۢ بَيْنَنَا وَبَيْنَكُمْ فرماوِیُکھ تہہ یا رسول اللہ ای اہلِ کتابو وَلو تتھ کلمس کُن یُس

مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ ؕ فَاِنْ تَوَلَّوْا فَقُوْلُوا اشْهَدُوْا بِاَنَّا مُسْلِمُوْنَ ﴿۶۴﴾
يٰۤاَهْلَ الْكِتٰبِ لِمَ تُحَآجُّوْنَ فِيْۤ اِبْرٰهِيْمَ وَمَاۤ اُنْزِلَتِ التَّوْرٰىةُ
وَالْاِنْجِيْلُ اِلَّا مِنْۢ بَعْدِهٖ ؕ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿۶۵﴾ هٰۤاَنْتُمْ
هٰۤؤُلَآءِ حَاجَجْتُمْ فِيْمَا لَكُمْ بِهٖ عِلْمٌ فَلِمَ

---

اسہِ منز تہ تُوہہِ منز برابر مُسلّم چھُو اَلَّا نَعْبُدَ اِلَّا اللّٰهَ وَلَا نُشْرِكَ بِهٖ شَيْئًا وَّلَا يَتَّخِذَ بَعْضُنَا بَعْضًا اَرْبَابًا مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ سُو کلمہِ گویوی کہِ اَسِ گژھِ نہ کانسہِ ہنز عبادت اللہ تعالیٰ اس ورای۔ بیہ ٹھہرِ وونہ لس کانہہ چیزاہ شریک کُنہِ چیزس اندر۔ بیہ رٹن نہ اَسہِ اَندرہ اَڈاڈین روب تہ معبود۔ معبودِ برحقس وراے۔ عیسایِ آسِ پوپ یایَن مشائخن تہ مولوین امہِ طریقہ مانان کہ ہرگاہ تِم سراسر کُنہِ چیزس اندر عقلہِ خلاف یا نقلس خلاف کانہہ کتھاہ کرہن۔ سُو آسِ تِم بے چون وچرا مانان تہ تسلیم کران۔ چنانچہِ ازتہِ چھہِ عیسایِ تی کران۔ اَمہِ قسمُک مذہبی تقلید چھُو یقیناً حرام۔ کیازِ بیہِ مرتبہ یعنی کانسہِ ہنز کتھہ بے چون وچرا مانِن چھُونہ خدایس ورایِ بیہ کانسہِ اکُسند۔ پیغمبرہ سُند مرتبہ تہ چھُو یہِ مگر تِلِ یلہِ خدایہ سندہ طرفہ تتھہ مُتعلق اِرشاد آسیس۔ الغرض بے چون وچرا چھُو صرف خدایہ سُند یا پیغمبر خدایہ سُند حکم مانُنہ یوان۔ تِمن پتہ چھُونہ کانسہِ اکُسند قول قابلِ تسلیم تہ قابلِ قبول۔ مگر سُوی یُس نقل آسہِ اُمّت کرنہ از خدا ورسُول۔ اِسلامس اندر یُس تقلیدِ ائمہ مذاہب چھُو۔ سُو چھُو امی قسمُک۔ لہٰذا اَمہِ طریقہ اربابِ مذاہبن ہُند قول مانُن گو فی الحقیقت خدا اور سولہ سُندی قول مانُن۔ البتہ ہرگاہ تہوند کانہہ قولاہ قرآن وحدیثہ کِس صریح نقلس خِلاف آسہِ سُو چھُونہ ہرگز قابلِ تسلیم و عمل تتھہ متعلق چھُو پانہ اربابِ مذاہبو باتفاق فرمووُمُت کہِ سون کانہہ قولاہ ہرگاہ قرآن وحدیثس خِلاف آسہِ سُو دِیِو لبہِ ٹبرِ تھہ۔ فَاِنْ تَوَلَّوْا پس ہرگاہ تِم امہِ توحیدہ نِشہِ بُتھہ پھِرَن فَقُوْلُوا اشْهَدُوْا پس دپیو کھ تُوہِ اے اہلِ کتابو گواہ رُوزِو۔ بِاَنَّا مُسْلِمُوْنَ یتھہ کتھہ پیٹھہ کہِ اَسِ چھہِ مُسلمان مُوحّد يٰۤاَهْلَ الْكِتٰبِ لِمَ تُحَآجُّوْنَ فِيْۤ اِبْرٰهِيْمَ اے اہلِ کتابو تُہہِ کیازِ چھُوہ قضیہِ لاگان، تنازعہ کران۔ حضرتِ ابراہیمہ سُندس حقّس اندر۔ ونان چھُوہ تِم آسِ یہُود یا نصاریٰ وَمَاۤ اُنْزِلَتِ التَّوْرٰىةُ وَالْاِنْجِيْلُ اِلَّا مِنْۢ بَعْدِهٖ حالانکہ نازِل آونہ کرنہ تورایت تہ انجیل۔

تُحَآجُّوْنَ فِيْمَا لَيْسَ لَكُمْ بِهٖ عِلْمٌ ؕ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ وَاَنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿٦٦﴾ مَا كَانَ اِبْرٰهِيْمُ يَهُوْدِيًّا وَّلَا نَصْرَانِيًّا وَّلٰكِنْ كَانَ حَنِيْفًا مُّسْلِمًا ؕ وَمَا كَانَ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿٦٧﴾ اِنَّ اَوْلَى النَّاسِ بِاِبْرٰهِيْمَ لَلَّذِيْنَ اتَّبَعُوْهُ وَهٰذَا

---

مگر تمن پتہ واریاہہ کالِ۔ یہُودیت تہ نصرانیت زلیہ توَرایت و انجیل نازِل سپد نہ پتہ۔ توَرایت آو نازِل کرنہ حضرتِ ابراہیمس علیہ السلام پتہ اکہِ ساسہ وٗہرِ۔ انجیل آو نازِل کرنہ حضرتِ موسیٰ اس پتہ دویہ ساسہِ وہر۔ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ کونہ چھوہِ عقل کران۔ برٗونٹھمہِ زمانک شخص کتھہ پاٹھہ بنہ پیرٕوٕ پتمہ کتابہ ہُند۔ هٰٓاَنْتُمْ هٰٓؤُلَآءِ حَاجَجْتُمْ وارہ بۄز زوای لوکو اختلاف چھوہ تہۍ کران فِيْمَا لَكُمْ بِهٖ عِلْمٌ تتھہ منز ییٚچ توہہِ کینژھاہ خبر چھوہ یعنی حضرتِ عیسیٰ اس متعلق۔ اَڈ چھوس دٕپان خدا تہ اَڈ چھوس دٕپان خدایہ سُند نیچو۔ تہندِس معاملس منز چھوہ نہ توہہِ کُنی تتھہ فَلِمَ تُحَآجُّوْنَ فِيْمَا لَيْسَ لَكُمْ بِهٖ عِلْمٌ پس کیازہ چھوہ اختلاف کران تمنِ معاملن اندر یمن ہنز نہ توہہ کینہہ خبر تہ علم چھو یعنی حضرتِ ابراہیمس علیہ السلامس متعلق وَاللّٰهُ يَعْلَمُ وَاَنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ اللہ تعالیٰ اکی چھوٗ زانان حضرتِ ابراہیم کُوہ صاحب اُوس تہۍ چھوہ نہ زانان مَا كَانَ اِبْرٰهِيْمُ يَهُوْدِيًّا وَّلَا نَصْرَانِيًّا اُوس نہ حضرتِ ابراہیم نہ یہُودی تہ نہ نصرانی وَّلٰكِنْ كَانَ حَنِيْفًا مُّسْلِمًا بلکہ اوس سُو ساروی ابزیودینو نشہِ بیزار۔ پۄز دین اختیار کرہٕ ون تابعدار تہ فرمانبردار مُوحد کامل وَمَا كَانَ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ بیہ اوس نہ سُو مُشرِ گوٗاندرہ۔ تیم دعویٰ چھہِ کران اسِ چھہِ تہندِس ملتس پیٹھہ۔ حالانکہ تیم چھہِ پائے کانہہ چیز اہ بناوان۔ کُنیو۔ پُچو یابیہ کُنہِ چیزک۔ تتھہ چھہِ نمان۔ تتھہ نشہِ چھہِ برکت ژھانڈان۔ تس چھہِ حاجت منگان۔ ای چھاکو رُمت حضرتِ ابراہیمن نعوذ باللہ۔ اِنَّ اَوْلَى النَّاسِ بِاِبْرٰهِيْمَ لَلَّذِيْنَ اتَّبَعُوْهُ پرٛ پاٹھہ زیادہ نزدیکھ چھہ لُوکو اندرہ حضرتِ ابراہیمس علیہ السلام تیمہ یمو تہنز متابعت تہ پیروی کٔر تہندِس وقتس اندر وَهٰذَا النَّبِيُّ بیہ چھو تمن نزدیک یہ بوڈ پیغمبر حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلّم وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا

النَّبِيُّ وَالَّذِينَ اٰمَنُوا ؕ وَاللّٰهُ وَلِيُّ الْمُؤْمِنِينَ ﴿۶۸﴾
وَدَّتْ طَّآئِفَةٌ مِّنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ لَوْ يُضِلُّوْنَكُمْ ؕ
وَمَا يُضِلُّوْنَ اِلَّآ اَنْفُسَهُمْ وَمَا يَشْعُرُوْنَ ﴿۶۹﴾ يٰٓاَهْلَ
الْكِتٰبِ لِمَ تَكْفُرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَاَنْتُمْ تَشْهَدُوْنَ ﴿۷۰﴾
يٰٓاَهْلَ الْكِتٰبِ لِمَ تَلْبِسُوْنَ الْحَقَّ بِالْبَاطِلِ وَتَكْتُمُوْنَ الْحَقَّ
وَاَنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿۷۱﴾ وَقَالَتْ طَّآئِفَةٌ مِّنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ اٰمِنُوْا بِالَّذِيْٓ

بیہ چھہ تمن نزدیک باایمان۔ اُمتی تمس پیغمبر برحقہ سند یمنی پزہ وُن اس چھہ بردین ابراہیمی نہ کہ توہہِ یا مُشرکن وَاللّٰهُ وَلِيُّ الْمُؤْمِنِينَ اللہ تعالیٰ چھُو دوست باایمانن ہُند تہنزہ کامہ سنبھالان وَدَّتْ طَّآئِفَةٌ مِّنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ یژھوویہوُدوآندرہ اک جماعتن لَوْ يُضِلُّوْنَكُمْ تم کرہ ہَن توہہِ دین حقہ نشہِ گمراہ وَمَا يُضِلُّوْنَ اِلَّآ اَنْفُسَهُمْ فی الحقیقت چھہِ تم توہہِ گمراہ کرن یژھان بلکہ چھہِ تم امہِ سیت پنہ نین پانن گمراہ کران وَمَا يَشْعُرُوْنَ مگر تمیک چھہِنہ ژینان يٰٓاَهْلَ الْكِتٰبِ لِمَ تَكْفُرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَاَنْتُمْ تَشْهَدُوْنَ اے اہلِ کتابو کیازہ چھوہ خدایہ سندین آیاتن، قرآن مجیدس اِنکار کران۔ حالانکہ توہہِ چھوہ نپنہ جایہ اتھہ اقرار کران يٰٓاَهْلَ الْكِتٰبِ لِمَ تَلْبِسُوْنَ الْحَقَّ بِالْبَاطِلِ وَتَكْتُمُوْنَ الْحَقَّ وَاَنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ای اہلِ کتابو کیازہ چھہِ وہ پُزاپُزس سیت مِلہ ناوان بیہ کیازہ چھوہ پوُز کھٹان یعنی نعت نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم۔ حالانکہ توہہِ چھوہ زانان یہ چھو بیشک پیغمبر آخر الزمان وَقَالَتْ طَّآئِفَةٌ مِّنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ اٰمِنُوْا بِالَّذِيْٓ اُنْزِلَ عَلَى الَّذِينَ اٰمَنُوْا وَجْهَ النَّهَارِ وَاكْفُرُوْٓا اٰخِرَهٗ بیہ وون یہوُدوآندرہ اکِ جماعتن بین یہوُدین مُسلمان گمراہ کرنچ اکھ صورت چھہ یہ تہ کہ ظاہر پاٹھہِ اینوا یمان اتھہ یہ نازل آو کرنہ مسمانن پیٹھہ یعنی قرآنِ مجیدس صبحس توپتہ کرِ وتتھہ اِنکار شامَس لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ یُتھ تیم باایمان امی سیت اسلامہ نشہِ پھیرن تہ رجوع کرن۔ شکھہ پیکھہ تہ حوصلہ سپدِ نکھہ پست۔ وَلَا تُؤْمِنُوْٓا اِلَّا لِمَنْ تَبِعَ دِيْنَكُمْ بیہ مہ آسو وژھہِ وانجہ تصدیق کران کُنہ دیٔس

أُنزِلَ عَلَى الَّذِينَ آمَنُوا وَجْهَ النَّهَارِ وَاكْفُرُوا آخِرَهُ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُونَ ﴿٧٢﴾ وَلَا تُؤْمِنُوا إِلَّا لِمَن تَبِعَ دِينَكُمْ قُلْ إِنَّ الْهُدَىٰ هُدَى اللَّهِ أَن يُؤْتَىٰ أَحَدٌ مِّثْلَ مَا أُوتِيتُمْ أَوْ يُحَاجُّوكُمْ عِندَ رَبِّكُمْ قُلْ إِنَّ الْفَضْلَ بِيَدِ اللَّهِ يُؤْتِيهِ مَن يَشَاءُ وَاللَّهُ وَاسِعٌ عَلِيمٌ ﴿٧٣﴾ يَخْتَصُّ بِرَحْمَتِهِ مَن يَشَاءُ وَاللَّهُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِيمِ ﴿٧٤﴾ وَمِنْ أَهْلِ الْكِتَابِ مَنْ إِن تَأْمَنْهُ

---

مگر تمنی یہم پیرو آسن تہند سِ دینس یعنے یہودیتس۔ قُلْ إِنَّ الْهُدَىٰ هُدَى اللَّهِ تہہ فرماؤ یُوکھ تہنز و چالاکیو سیت ہیکہ نہ کہنہ بنتِ۔ کیازہ پزِ پاٹھہِ ہدایَت یُس لُوگن بنان چھُو سُو ہدایت چھُو خدایہ سُند ہدایت۔ سُوی چھُو اصل ہدایت۔ سُو چھُو خدایہ سندسی اتھس اندر۔ تمیک اختیارہ وول چھُو سُوی۔ یُس سُو ہدایت کرہِ تَس ہیکہِ نہ ڈالتھہ کانہہ کُنہِ طریقہ۔ یَس نہ سُو ہدایت کرہ تَس ہیکہِ نہ کانہہ ہدایت کرِت أَن يُؤْتَىٰ أَحَدٌ مِّثْلَ مَا أُوتِيتُمْ بیہ دُوپ یہُودَو اندرہ اکِ جماعژ۔ تصدیق مہ آسِو کران یتھہ کتھِ کِہ کانسہِ کیاہیہِ عطا کرنہ تہِ یہِ توہہ بنی اسرائیلن عطا کرنہ آو۔ سُو گو نبوّت، کِتاب۔ حکمت۔ أَوْ يُحَاجُّوكُمْ عِندَ رَبِّكُمْ یتھہ کتھِ تہِ مہ آسِو تصدیق کران کہ مسلمان کیاہ کرن توہہِ مقابلہ خدایس تہندِس نشہِ۔ کیازِہ تہند دین چھُو مضبوط تہنز دلیل چھہ قوی۔ یہِ آسِ یہُود نان پانہ وانِ اکھہ اکس۔ قُلْ إِنَّ الْفَضْلَ بِيَدِ اللَّهِ يُؤْتِيهِ مَن يَشَاءُ تہہ فرماویو کھ یا رسُول اللہ صلی اللہ علیہ و سلم پزِ پاٹھِ فضل و کرم چھُو خدایہ سندِس اَتھس اندر۔ یَس خوش کریس تَس کرہِ عطا۔ ہر گاہ کہنہ کالاہ نبوت و ہدایت تم عطا کر بنی اسرائیلو اندرہ بعضی صاحبن وَنَ یوژھہ تم نبوّت و ہدایت عطا کرن بنی اسماعیلو اندرہ اکِس مخصوص صاحبس تہہ کَمِ چھوِہ۔ وَاللَّهُ وَاسِعٌ عَلِيمٌ اللہ تعالیٰ سنز رحمت چھہ وسیع۔ سُو چھُو سیٹھاہ زانہ وُن تمِس چھہ خبر کُوہ چھُو قابلِ تہ سزاوار اتھہ رحمتس يَخْتَصُّ بِرَحْمَتِهِ مَن يَشَاءُ یَس ندہ حقہ سُو یژھہِ تس کرہ مخصوص رحمتہ سیت۔ نبوتہ سیت کِتابہ سیت تہ حکمتہ سیت تہہ کم چھوِہ۔ وَاللَّهُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِيمِ

بِقِنْطَارٍ يُّؤَدِّهٖٓ اِلَيْكَ ۚ وَمِنْهُمْ مَّنْ اِنْ تَاْمَنْهُ بِدِيْنَارٍ لَّا يُؤَدِّهٖٓ اِلَيْكَ اِلَّا مَا دُمْتَ عَلَيْهِ قَآئِمًا ؕ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ قَالُوْا لَيْسَ عَلَيْنَا فِى الْاُمِّيّٖنَ سَبِيْلٌ ۚ وَيَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ ﴿٧٥﴾ بَلٰى مَنْ اَوْفٰى بِعَهْدِهٖ وَاتَّقٰى فَاِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُتَّقِيْنَ ﴿٧٦﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ يَشْتَرُوْنَ بِعَهْدِ اللّٰهِ وَاَيْمَانِهِمْ ثَمَنًا

---

اللہ تعالیٰ چھو بوڈ فضلہ وول وَمِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ مَنْ اِنْ تَاْمَنْهُ بِقِنْطَارٍ يُّؤَدِّهٖٓ اِلَيْكَ بیہ چھہ بعضے اہل کتابو اَندرہ تمہِ قسمکِ لُوکھ ہر گاہ تِمن بے شمار مال، زہ ساس زہ ہتھہ اوقیہ سونک امانت ییہ تھاونہ سُو دیئی واپس ژیہ یلہِ ژہ منگہس مثلِ عبداللہ بنِ سلام وَمِنْهُمْ مَّنْ اِنْ تَاْمَنْهُ بِدِيْنَارٍ لَّا يُؤَدِّهٖٓ اِلَيْكَ تِمو یہودَو اندرہ چھہ بعضی تم ہر گاہ تِمن ژہ اکھ دینار یعنی اکھ موہرَ اماتھ تھاوکھ سُو دیئی نہ واپس سُو اکھ دینار تہِ۔ اِلَّا مَا دُمْتَ عَلَيْهِ قَآئِمًا یُو تانِ وودنی روزکھ ژہ تِمس مُطالبہ تہٕ وگرای کران ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ قَالُوْا لَيْسَ عَلَيْنَا فِى الْاُمِّيّٖنَ سَبِيْلٌ ییہِ خیانت کرہ نک وَجہ چھُو تم چھہِ دَپان اسہِ چھُونہ ناخواندن، نا تعلیم یافتن غیر اہلِ کتابن ہُند مال کھینس اندر کانہہ قصُوراہ تہٕ گنہاہ۔ بیہ اسہِ تم ونان کہِ توراتیس اندر چھُو اَسہِ سانہِ دِینکین مُخالفن ہندِس مالس اندر خیانت کرن جائیز۔ اللہ تعالیٰ چھُو کھ اتھہ ردّ فرماوان وَيَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ نوور اوان چھہِ تم ییہِ کتھہ وننہ سیت اللہ تعالیٰ اَس پیٹھہ اپز وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ زانتھہ کرِتھہ۔ یمن چھو معلوُم کہ اللہ تعالیٰ اَن چھُونہ کُنہِ جایہِ امیک اِجازت دیُو تمُت۔ اماتس اندر خیانت کرَن چھُو پریتھہ کانسہِ ہندِہ حقہ ممنوُع۔ پریتھہ دِینس تہٕ مذہبس منز ناجائز بَلٰى یہنز یہ کتھہ چھنہ ہرگز صحیح بلکہ خیانت کرن چھُو سخت گناہ۔ خیانت کروِنس پیٹھہ چھُو ضرور سخت الزام۔ کیازِہ تتھہ متعلق چھہِ سانِ زہ قانون۔ اکھ گو مَنْ اَوْفٰى بِعَهْدِهٖ ییم اکِ وفا کور پنہ نِس عہدس یُس تم خدایس سیت کورمُت آسہِ یا جائز عہد اہ کانسہِ مخلوقس سیت کورمُت آسہ وَاتَّقٰى بیہ کھوژِہ اللہ تعالیٰ اَس کہِ کانسہِ ہُند مال زانہِ نہ حلال بلا وَجہ فَاِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُتَّقِيْنَ پس بیشک اللہ تعالیٰ چھُو دوست تھاوان،

قَلِيْلًا اُولٰٓئِكَ لَا خَلَاقَ لَهُمْ فِى الْاٰخِرَةِ وَلَا يُكَلِّمُهُمُ اللّٰهُ وَلَا يَنْظُرُ اِلَيْهِمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ وَلَا يُزَكِّيْهِمْ وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿٧٧﴾ وَاِنَّ مِنْهُمْ لَفَرِيْقًا يَّلْوٗنَ اَلْسِنَتَهُمْ بِالْكِتٰبِ لِتَحْسَبُوْهُ مِنَ الْكِتٰبِ وَمَا هُوَ مِنَ الْكِتٰبِ وَيَقُوْلُوْنَ هُوَ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ وَمَا هُوَ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ وَيَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ

---

پسند کران پرهیزگارن۔ دوئم قانون گو اِنَّ الَّذِيْنَ يَشْتَرُوْنَ بِعَهْدِ اللّٰهِ وَاَيْمَانِهِمْ ثَمَنًا قَلِيْلًا پزپاٹھِ تیم لُوکھ کنان تہ بدلاوان چھِ خدایہِ سندِس عہدس یُس امانتس متعلق چھُو توراتس منز بیان کرنہ آمُت۔ یا یُس عہد نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم متعلق چھُو پنہ نیوا پزیو قسمو سیت کم مؤلس حاصل چھِ کران تم قیمتھاہ تہ مؤلاہ سیٹھاہ کم۔ یعنی دُنیہِ ہُند اکھ ترکھ یا کپرک یکھنہ گز۔ تیم تمِن کعب بن اشرف یہودیس نشہِ بنان آسِ نعتِ پیغمبر آخر الزمانس تحریف کرنس پیٹھ اُولٰٓئِكَ لَا خَلَاقَ لَهُمْ فِى الْاٰخِرَةِ تیم عہد شکن تہ اپزیارِ اپزِ قسم ہاوہ ونِ تیم چھِ یہندہِ خیطرِ ہ چھُو نہ آخرتس اندر کانہہ حِصہ ثوابُک۔ وَلَا يُكَلِّمُهُمُ اللّٰهُ وَلَا يَنْظُرُ اِلَيْهِمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ بیہ کرہِ نہ تِمن سیت اللہ تعالیٰ کتھ تہ۔ بیہ دِیہ نہ تمنِ کُن نظر تہِ قیامتکُ دوہ۔ وَلَا يُزَكِّيْهِمْ نہ کرہِ تہنزن کامین ہنز کانہہ تعریف نہ کرہ تمن گنہو نشہِ پاک وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ بلکہ آسہِ تہندیِ خیطرہ کُڈر عذاب۔ وَاِنَّ مِنْهُمْ لَفَرِيْقًا يَّلْوٗنَ اَلْسِنَتَهُمْ بِالْكِتٰبِ

تمو یہودو اندرہ چھہ اکھ جماعتھاہ تیم زیوِ ڈھتھہ تہ ہیٗ کرِتھ توراتچ عبارت پران چھِ۔ یتھ جایہ نبی کریمہ صلی اللہ علیہ وسلم سندین تعریفن تہ نعتن تحریف تہ تغیر چھُو آسان آمُت کرنہ لِتَحْسَبُوْهُ مِنَ الْكِتٰبِ یُتھ توہہِ گمان گژھہِ یہِ تہِ چھہ توراتچی عبارت وَمَا هُوَ مِنَ الْكِتٰبِ حالانکہ فی الواقع چھہ نہ سُہ توراتچ عبارت کینہ تہِ وَيَقُوْلُوْنَ هُوَ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ ونان چھِ تیم کہ یہِ عبارت تہِ چھہ خدایہِ سندی طرفہ وَمَا هُوَ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ حالانکہ سُہ عبارت چھنہ ہرگز خدایہِ سندہ طرفہ وَيَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ نوورِاوان چھِ تیم خدایس پیٹھہ اپز۔ حالانکہ تیم چھِ زانان اسِ چھِ اپز ونان مگر زانتھ

وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ ﴿٧٨﴾ مَا كَانَ لِبَشَرٍ اَنْ يُّؤْتِيَهُ اللّٰهُ الْكِتٰبَ وَالْحُكْمَ وَالنُّبُوَّةَ ثُمَّ يَقُوْلَ لِلنَّاسِ كُوْنُوْا عِبَادًا لِّيْ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَلٰكِنْ كُوْنُوْا رَبّٰنِيّٖنَ بِمَا كُنْتُمْ تُعَلِّمُوْنَ الْكِتٰبَ وَبِمَا كُنْتُمْ تَدْرُسُوْنَ ﴿٧٩﴾ وَلَا يَاْمُرَكُمْ اَنْ تَتَّخِذُوا الْمَلٰٓئِكَةَ وَالنَّبِيّٖنَ اَرْبَابًا ؕ اَيَاْمُرُكُمْ بِالْكُفْرِ بَعْدَ اِذْ اَنْتُمْ مُّسْلِمُوْنَ ﴿٨٠﴾ وَاِذْ اَخَذَ اللّٰهُ مِيْثَاقَ النَّبِيّٖنَ لَمَآ

---

کرِ تھ چھِ اُپز وَنان۔ یتھے پاٹھ چھِ نصارٰی تہٕ اُپز نوور اوان خدایس پیٹھ۔ تم چھِ دپان حضرت عیسیٰ اَن چھُو کورمُت خدا آسنُک دعویٰ۔ لُوکن دُیت نادتمو پنہٕ نِس عبادژ کُن تتھ چھُورڈ کر ان اللہ تعالیٰ مَا كَانَ لِبَشَرٍ اَنْ يُّؤْتِيَهُ اللّٰهُ الْكِتٰبَ وَالْحُكْمَ وَالنُّبُوَّةَ کانسہِ بشرس نِش چھنہ یہ کتھ مُمکن کہ اللہ تعالیٰ اَن کیا آسہِ تس عطا کرمژ سۄ کتاب یتھ اندر توحیدُک حُکم تہٕ شرکچ ممانعت آسہِ۔ بیہ آسنس عطا کرمژ عقل تہٕ فہم۔ بیہ آسنس عطا کورمُت نبوّت ثُمَّ يَقُوْلَ لِلنَّاسِ كُوْنُوْا عِبَادًا لِّيْ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ تو پتہٕ کیاوَنہِ سُو لُوکن تہٕ بنو میانِ بندہ خدایس ورای یعنی میانِ کرِو عبادت۔ وَلٰكِنْ كُوْنُوْا رَبّٰنِيّٖنَ بلکہ چھہٕ تہنز کوم لُوکن وَنُن۔ بنو تہٕ اے لوکو خدایہ سندِ بندہ۔ پننِ خاص تعلقات تھاوہ ونِ تس سیت۔ عبادت کرِو تہنزی یاژ۔ کیازہ سُو کھوژِہ ہر گاہ بۄلوگن پنہٕ نِس عبادژ تہٕ پرستشہ کُن نادِ دمہ۔ اللہ تعالیٰ اَن یوسہ مہربانیاہ چھُم عطا کرمژ سۄ ہیٚمَہ واپس بیہ گژھ ہیم بیزار بِمَا كُنْتُمْ تُعَلِّمُوْنَ الْكِتٰبَ وَبِمَا كُنْتُمْ تَدْرُسُوْنَ امی وجہہ کہ تہٕ چھُوک ہیچھناوان لوک سۄ کتاب یتھ منز توحید کی سبق چھہٕ۔ امی وجہہ کہ تہٕ چھُوہِ سۄ کتاب پانہٕ پرَان وَلَا يَاْمُرَكُمْ اَنْ تَتَّخِذُوا الْمَلٰٓئِكَةَ وَالنَّبِيّٖنَ اَرْبَابًا بیہ ہیکہ نہ سُو بشر امر کرِتھ کہِ تہٕ بناویُوکھ ملایکِ تہٕ پیغمبر معبود پننِ خدایس ورای اَيَاْمُرُكُمْ بِالْكُفْرِ بَعْدَ اِذْ اَنْتُمْ مُّسْلِمُوْنَ کیاہ یہ چھا مُمکن کہِ سُو بشر کیاہ کرِہ توہہِ کُفرُک تجویز، تہٕ مُسلمان بننہ پتہٕ وَاِذْ اَخَذَ اللّٰهُ مِيْثَاقَ النَّبِيّٖنَ سُو وقت پاوِژ تمیس یلہِ اللہ تعالیٰ اَن عہد کرناوِ ساری پیغمبر لَمَآ اٰتَيْتُكُمْ مِّنْ

آتَيْتُكُمْ مِّنْ كِتٰبٍ وَّحِكْمَةٍ ثُمَّ جَآءَكُمْ رَسُوْلٌ مُّصَدِّقٌ
لِّمَا مَعَكُمْ لَتُؤْمِنُنَّ بِهٖ وَلَتَنْصُرُنَّهٗ ؕ قَالَ ءَاَقْرَرْتُمْ وَاَخَذْتُمْ
عَلٰى ذٰلِكُمْ اِصْرِىْ ؕ قَالُوْٓا اَقْرَرْنَا ؕ قَالَ فَاشْهَدُوْا وَاَنَا مَعَكُمْ
مِّنَ الشّٰهِدِيْنَ ﴿٨١﴾ فَمَنْ تَوَلّٰى بَعْدَ ذٰلِكَ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ
الْفٰسِقُوْنَ ﴿٨٢﴾ اَفَغَيْرَ دِيْنِ اللّٰهِ يَبْغُوْنَ وَلَهٗٓ اَسْلَمَ مَنْ فِى
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ طَوْعًا وَّكَرْهًا وَّاِلَيْهِ يُرْجَعُوْنَ ﴿٨٣﴾

---

كِتٰبٍ وَّحِكْمَةٍ البته ڀِ ڪيتر ڀاڱا مان توهان کي عطا ڪري ڪتاب ۽ حڪمت ثُمَّ جَآءَكُمْ رَسُوْلٌ تو پڇي واتهِ توهانِ نش پيغمبر اهڙو عظيم الشان مُّصَدِّقٌ لِّمَا مَعَكُمْ سو آسهِ تصديق ڪرهڻن تهزن ساراني بنيادي تڪهن تمهِ توهانِ سيت پڇهه، لَتُؤْمِنُنَّ بِهٖ تهه ڪرزهِ تمس پيغمبرس ضرور پڙهه وَلَتَنْصُرُنَّهٗ بيهِ ڪرزهِ تهندس دِينس ضرور مدد قَالَ ءَاَقْرَرْتُمْ الله تعالىٰ اَن فرموڙکهه اے پيغمبرو واره ڪرِ واتهه پيڻهه اِقرار وَاَخَذْتُمْ عَلٰى ذٰلِكُمْ اِصْرِىْ اتهه پيڻهه ڪروه ميون عهد ته حُڪم قبول يتهه عهدس تهه وفا ڪرِو قَالُوْٓا اَقْرَرْنَا ساروي پيغمبرو دُوپ اسهِ ڪور اقرار قَالَ فَاشْهَدُوْا الله تعالىٰ اَن فرموڙکهه پس روزِ واڈاڈين گواه وَاَنَا مَعَكُمْ مِّنَ الشّٰهِدِيْنَ بِٹتهِ چهوس توهي سيت گواهو اندره فَمَنْ تَوَلّٰى بَعْدَ ذٰلِكَ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْفٰسِقُوْنَ يُس تمو منزه روگرداني ڪرهِ امهِ معاهده پته تمِ چهِ ڪافر ته نافرمان۔ اَفَغَيْرَ دِيْنِ اللّٰهِ يَبْغُوْنَ ڪيا تم عهد شڪن چهاخدايه سندهِ دينه وراي بياکهه ديناه ڈهانڈان وَلَهٗٓ اَسْلَمَ مَنْ فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ حالانڪهِ يُس اکهاه آسمانس ته زمينس اندر چهو تمو ساروي پڇهه گردن دار مڑ خدايه سندس حُڪمس طَوْعًا وَّكَرْهًا خوشي سيت يالاچارسپدِ ت وَّاِلَيْهِ يُرْجَعُوْنَ پتولاکه چهو تس ڪُن ساراني رجوع ڪرن۔ قُلْ اٰمَنَّا بِاللّٰهِ وَمَآ اُنْزِلَ عَلَيْنَا فرماوِيُوکهه تهه يا رسول الله ﷺ اسه ڪر پڙهه

قُلْ اٰمَنَّا بِاللّٰهِ وَمَآ اُنْزِلَ عَلَيْنَا وَمَآ اُنْزِلَ عَلٰٓى اِبْرٰهِيْمَ وَ
اِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ وَالْاَسْبَاطِ وَمَآ اُوْتِيَ مُوْسٰى وَ
عِيْسٰى وَالنَّبِيُّوْنَ مِنْ رَّبِّهِمْ لَا نُفَرِّقُ بَيْنَ اَحَدٍ مِّنْهُمْ وَنَحْنُ
لَهٗ مُسْلِمُوْنَ ﴿٨٤﴾ وَمَنْ يَّبْتَغِ غَيْرَ الْاِسْلَامِ دِيْنًا فَلَنْ يُّقْبَلَ مِنْهُ ۚ
وَهُوَ فِى الْاٰخِرَةِ مِنَ الْخٰسِرِيْنَ ﴿٨٥﴾ كَيْفَ يَهْدِى اللّٰهُ قَوْمًا
كَفَرُوْا بَعْدَ اِيْمَانِهِمْ وَشَهِدُوْٓا اَنَّ الرَّسُوْلَ حَقٌّ وَّجَآءَهُمُ
الْبَيِّنٰتُ ۭ وَاللّٰهُ لَا يَهْدِى الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٨٦﴾ اُولٰٓئِكَ جَزَآؤُهُمْ

---

کُنس خدا ایس بیہ تتھ یہِ اَسہِ کُن نازِل آوکرنہ وَمَآ اُنْزِلَ عَلٰٓى اِبْرٰهِيْمَ وَ اِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ وَالْاَسْبَاطِ بیہِ تتھ یہِ نازِل آوکرنہ حضرتِ ابراہیمس، حضرت اسماعیلس، حضرتِ اسحاقس، حضرت یعقوبس بیہِ تہندین اولادن پیٹھ وَمَآ اُوْتِيَ مُوْسٰى وَ عِيْسٰى وَالنَّبِيُّوْنَ مِنْ رَّبِّهِمْ بیہِ تتھ یہِ عطا کرنہ آو حضرتِ موسیٰ اَس، حضرتِ عیسیٰ اَس، بیہِ سارنی پیغمبرن پنہ نِس پروردگارہ سندہِ طرفہ لَا نُفَرِّقُ بَيْنَ اَحَدٍ مِّنْهُمْ کانہہ فرق چھنہ اسِ کران تِموٚ اندرہ کانسہِ اَکِس اندر وَنَحْنُ لَهٗ مُسْلِمُوْنَ اسِ چھہِ خدایہِ سندی فرمانبردار تِم کوراسہِ یہ دین عطا۔ اَسہِ کُر قُبول تہِ اختیار یُوہے دین وَمَنْ يَّبْتَغِ غَيْرَ الْاِسْلَامِ دِيْنًا فَلَنْ يُّقْبَلَ مِنْهُ وونِ یُس اکھاہ ژھانڈہ اسلامہ ورای بیاکھ دیناہ۔ اَدہ سُو دین ایس نہ ہرگز قبول تہ منظور کرنہ وَهُوَ فِى الْاٰخِرَةِ مِنَ الْخٰسِرِيْنَ بیہِ آسہِ سُو آخرتس اندر تاوان زدو اندرہ تِم نہ نجات ہیکن لبت۔ كَيْفَ يَهْدِى اللّٰهُ قَوْمًا كَفَرُوْا بَعْدَ اِيْمَانِهِمْ اللہ تعالیٰ کتھہ پاٹھہِ ہاوہِ وتھ تِمن لُوکن تِمو کُفر تہِ انکار کوراکہ پھرِہ ایمان انتھہ وَشَهِدُوْٓا اَنَّ الرَّسُوْلَ حَقٌّ بیہِ تِمو اکہ پھرِہ گواہی دژ یہِ پیغمبر چھُو پزِ زیور وَّجَآءَهُمُ الْبَيِّنٰتُ بیہِ واژہ تِمن نِشہ ننہِ دلیلہ۔ وَاللّٰهُ لَا يَهْدِى الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ بیہِ کتہِ انہِ اللہ تعالیٰ

أَنَّ عَلَيْهِمْ لَعْنَةَ اللَّهِ وَالْمَلَائِكَةِ وَالنَّاسِ أَجْمَعِينَ ﴿٨٧﴾ خَالِدِينَ فِيهَا لَا يُخَفَّفُ عَنْهُمُ الْعَذَابُ وَلَا هُمْ يُنْظَرُونَ ﴿٨٨﴾ إِلَّا الَّذِينَ تَابُوا مِنْ بَعْدِ ذَٰلِكَ وَأَصْلَحُوا فَإِنَّ اللَّهَ غَفُورٌ رَحِيمٌ ﴿٨٩﴾ إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا بَعْدَ إِيمَانِهِمْ ثُمَّ ازْدَادُوا كُفْرًا لَنْ تُقْبَلَ تَوْبَتُهُمْ وَأُولَٰئِكَ هُمُ الضَّالُّونَ ﴿٩٠﴾ إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا وَمَاتُوا وَهُمْ كُفَّارٌ فَلَنْ يُقْبَلَ مِنْ أَحَدِهِمْ مِلْءُ الْأَرْضِ ذَهَبًا وَلَوِ افْتَدَىٰ بِهِ

---

سيرءِ وٺهِ پٺيان تمن ظالمن ٿيا ايمان جي پڇاڙيءَ ڪفر ڪئو أُولَٰئِكَ جَزَاؤُهُمْ أَنَّ عَلَيْهِمْ لَعْنَةَ اللَّهِ وَالْمَلَائِكَةِ وَالنَّاسِ أَجْمَعِينَ تمني لوڪن هند سزا اچهو يمن پٺهه لعنت خدا ليءِ سنزبيءِ ملائڪن هنز بيءِ ساري لوڪن هنز خَالِدِينَ فِيهَا تهه لعنتس منز روزن گرفتار هميشه يا لعنتڪس اثرس منز۔ سُو گو عذابِ جهنم تهه منز روزن هميشه لَا يُخَفَّفُ عَنْهُمُ الْعَذَابُ وَلَا هُمْ يُنْظَرُونَ لوڙ راونه ته ڪم ييهِ نه ڪرنه تمن نِشهِ سُو عذاب نه ييهِ تمن مُهلت دِنه يعني جهنمڪهِ قيد خانه منزه يهن ڪُنه وقته نيبر ڪڏنه إِلَّا الَّذِينَ تَابُوا مِنْ بَعْدِ ذَٰلِكَ وَأَصْلَحُوا فَإِنَّ اللَّهَ غَفُورٌ رَحِيمٌ مگر يمو توبه ڪورامهِ پته بيه سنبهالکھ دِل پنن بيه عمله پننهِ پس تهندهِ خيطره ڇھو الله تعالیٰ مغفرت ڪرهون، رحم ڪرهون إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا بَعْدَ إِيمَانِهِمْ پزياٺهِ يمو ڪُفر ڪور ايمان انه پته ثُمَّ ازْدَادُوا كُفْرًا تو پته ڪرکھ زيادتي ڪُفرس اندر لَنْ تُقْبَلَ تَوْبَتُهُمْ وَأُولَٰئِكَ هُمُ الضَّالُّونَ يُهندِ توبه ييهِ نه هرگز قبول ڪرنه يُس توبه تم بين گنهن هندهِ خيطره گرن۔ بيهِ ڇھهِ تمے گمراه ته ڏلمت إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا وَمَاتُوا وَهُمْ كُفَّارٌ پزياٺهِ يمو ڪفر ڪور ته مؤدِ ڪُفرسي پٺهه فَلَنْ يُقْبَلَ مِنْ أَحَدِهِمْ مِلْءُ الْأَرْضِ ذَهَبًا پس هرگز ييهِ نه تمن نِشهِ قبول ڪرنه تيوت سون يمهِ سيت سوري زمين پرُ آسهِ وَلَوِ افْتَدَىٰ بِهِ هرگاه سُو تيوت سون عذابس بدله دِيهِ هرگز ييَس نه قبول ڪرنه۔

أُولَٰئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ أَلِيمٌ وَمَا لَهُم مِّن نَّاصِرِينَ ﴿٩١﴾
لَن تَنَالُوا الْبِرَّ حَتَّىٰ تُنفِقُوا مِمَّا تُحِبُّونَ ۚ وَمَا تُنفِقُوا
مِن شَيْءٍ فَإِنَّ اللَّهَ بِهِ عَلِيمٌ ﴿٩٢﴾ كُلُّ الطَّعَامِ كَانَ حِلًّا لِّبَنِي
إِسْرَائِيلَ إِلَّا مَا حَرَّمَ إِسْرَائِيلُ عَلَىٰ نَفْسِهِ مِن قَبْلِ أَن
تُنَزَّلَ التَّوْرَاةُ ۗ قُلْ فَأْتُوا بِالتَّوْرَاةِ فَاتْلُوهَا إِن كُنتُمْ

---

أُولَٰئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ أَلِيمٌ یمَن تھین لوکن ہندِ خیطرٕ ے چھوکڈُر عذاب وَمَا لَهُم مِّن نَّاصِرِينَ بیہ آسنہِ تمن کانہہ مدد گاراہ۔ لَن تَنَالُوا الْبِرَّ حَتَّىٰ تُنفِقُوا مِمَّا تُحِبُّونَ اَی مُسلمانو ہرگز ہیکونہِ کامِل نیکی یعنی بوڈ ثواب حاصل کرِتھ یُوتانِ نہ خرچ آسو کران تمہِ مالہ منزہ یُس توہہِ ٹوٹھ آسہِ اَدہ سُو کم آسِن یا زیادہ وَمَا تُنفِقُوا مِن شَيْءٍ فَإِنَّ اللَّهَ بِهِ عَلِيمٌ بیہ یہ تہہٕ خرچ کرِوُکھِ چیزہ اندرہ۔ پس اللہ تعالیٰ چھُوتہِ پوٗر زانان۔ تتھ پیٹھہ کرِہ وہ ثواب عطا مگر ثوابِ عظیم گو تہندِہ خیطرہ تمہِ چیزہ منزہ خرچ کرن یُس ٹوٹھ آسہِ كُلُّ الطَّعَامِ كَانَ حِلًّا لِّبَنِي إِسْرَائِيلَ إِلَّا مَا حَرَّمَ إِسْرَائِيلُ عَلَىٰ نَفْسِهِ مِن قَبْلِ أَن تُنَزَّلَ التَّوْرَاةُ ساری کھینک چیز آسِ حلال بنی اسرائیلن ہندِہ خیطرہ تورات نازِل سپدنہ برونٹھ۔ تمو چیزو ورای یم حضرت یعقوبنَ پانس پیٹھہ حرام آسِ کرمتِ بطریق نذر۔ تمو اُوس نذر تھومُت کہ ہرگاہ عرق النساء ک تکلیف مہِ دُور گژھہ تلہِ تراوہ بوٗ دونٹہ ماز تہ دونٹہ دود کھیون۔ اَمہِ سببہ آسِ نہ تم تیم زہ چیز استعمال کران۔ تہندِس شریعتس منز آسہ امہِ طریقہ نذر تھاون جائیز۔ یعنی کانہہ چیز پانے پانس پیٹھہ حرام کرُن یا کانہہ حلال چیزاہ ترک کرن یُس خدایَن حلال کورمُت آسہِ۔ تہ چھو اسلامَس منز ناجائیز۔ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم لِمَ تُحَرِّمُ مَا أَحَلَّ اللَّهُ لَكَ تہہٕ کیازہ چھوِہ پانس پیٹھہ سُو چیز حرام کران یُس خدایَن تہُندِہ خیطرہ حلال کورمُت چھُو قُلْ فَأْتُوا بِالتَّوْرَاةِ فَاتْلُوهَا إِن كُنتُمْ صَادِقِينَ فرماویوکھ تہہٕ یا رسُول اللہ اَی یہُودو تُہے چھوِہ توراتک حوالہ دِوان۔ پس کرِو پیش تورات تہ سوی پرِو۔ ہاوِوکتہِ نس چھُو توراتس اندر لیکھِت۔ ہرگاہ تہہٕ

صٰدِقِيْنَ ﴿۹۳﴾ فَمَنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ مِنْۢ بَعْدِ ذٰلِكَ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الظّٰلِمُوْنَ ﴿۹۴﴾ قُلْ صَدَقَ اللّٰهُ ۫ فَاتَّبِعُوْا مِلَّةَ اِبْرٰهِيْمَ حَنِيْفًا ؕ وَمَا كَانَ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿۹۵﴾ اِنَّ اَوَّلَ بَيْتٍ وُّضِعَ لِلنَّاسِ لَلَّذِيْ بِبَكَّةَ مُبٰرَكًا وَّهُدًى لِّلْعٰلَمِيْنَ ﴿۹۶﴾ فِيْهِ اٰيٰتٌۢ بَيِّنٰتٌ مَّقَامُ اِبْرٰهِيْمَ ۚ وَمَنْ دَخَلَهٗ كَانَ اٰمِنًا ؕ وَلِلّٰهِ عَلَى النَّاسِ حِجُّ الْبَيْتِ

---

اعتراض کرنس اندر پزیارِ چھوِہ سُو اعتراض اُوس تھوٗندیوٗ ہے کہِ توہہِ مُسلمانئے چھوِہ دپان اسِ چھہِ برملّت ابراہیمی تلہِ کیازہ چھوِہ تمہ چیز کھیوان یمہ چیز حضرتِ ابراہیمس پیٹھہ اللہ تعالیٰ اَن آسِ حرام کرمت۔ تتھہ اعتراضس کوٗرُکھہ اللہ تعالیٰ ان ردّ۔ فَمَنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ مِنْۢ بَعْدِ ذٰلِكَ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الظّٰلِمُوْنَ پَس یُس اکھاہ اَپزنوٗ راوِہ معبوٗدِ برحقس پیٹھہ اَمہِ پتہ تہِ۔ پَس تمے چھہِ ظالمِ بے اِنصاف قُلْ صَدَقَ اللّٰهُ فرمادیوٗکھ پوٗز فرموٗ اللہ تعالیٰ اَن حضرتِ ابراہیمس مُتعلّق یہِ خبر۔ وَلو اَتھہِ پزہِ کتھہِ پیٹھہ کرو فیصلہ فَاتَّبِعُوْا مِلَّةَ اِبْرٰهِيْمَ حَنِيْفًا وَمَا كَانَ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ پَس ہرگاہ توہہِ تہُندہ مُتابعتک دعویٰ چھوِہ۔ تیلہِ کَرِو تہنز متابعت۔ تِم آسِ ساروِی دینوٗ نشہِ بیزار۔ ثابتِ آسِ بردینِ اِسلام۔ بیہِ آسِ نہ تِم مُشرِکو اندرہ اِنَّ اَوَّلَ بَيْتٍ وُّضِعَ لِلنَّاسِ لَلَّذِيْ بِبَكَّةَ مُبٰرَكًا پزپاٹھہِ عبادت تٕک گوڈنکوی سُو گرہ یُس تعمیر آو کرنہ لوٗکن ہندہِ عبادتہ خیطرہ، سُو گوسُوی گرہ یُس مکہ شریفس منز چھُو۔ یُس سیٹھاہ بابرکت چھُو۔ یمہِ آیہ کریمہ سیت چھُو اللہ تعالیٰ رَدّ کران یہوٗدن ہندِس بییس اعتراضس سُو گویُو ہے کہ تِم آسِ دپان ہرگاہ تہہ حضرتِ ابراہیمہ سندِس ملّتس پیروی چھوِہ کران۔ تلہِ اُوس حضرتِ ابراہیمن عراقہ پیٹھہ ہجرت کرِتھہ شامَس منز پَنُن وطن بنوٗمت۔ تہُند قبلہ اُوس بیت المُقدس۔ تہہ کتھہِ پاٹھہ چھوِہ دعویٰ کران تِمن سیت قربُک تہ نزدیکی ہند۔ اللہ تعالیٰ ان فرموٗکھہ ساروِی مُقاماتِ مُقدسَن برونٹھ چھُو گوڈنکوی مُقدّس تہ مُحترم گرہ کعبہ شریف یُس مکہ معظمس اندر چھُو وَّهُدًى لِّلْعٰلَمِيْنَ بیہِ چھُو یہِ کعبہ شریف بوٗڈ ہدایت عالمین ہندہِ خیطرہ فِيْهِ اٰيٰتٌۢ بَيِّنٰتٌ مَّقَامُ اِبْرٰهِيْمَ اتھہ خانہ کعبس منز چھہِ خدایہِ

مَنِ اسۡتَطَاعَ اِلَیۡهِ سَبِیۡلًا ؕ وَمَنۡ كَفَرَ فَاِنَّ اللّٰهَ غَنِیٌّ عَنِ
الۡعٰلَمِیۡنَ ﴿۹۷﴾ قُلۡ یٰۤاَهۡلَ الۡكِتٰبِ لِمَ تَكۡفُرُوۡنَ بِاٰیٰتِ اللّٰهِ ٭ۖ وَاللّٰهُ
شَهِیۡدٌ عَلٰی مَا تَعۡمَلُوۡنَ ﴿۹۸﴾ قُلۡ یٰۤاَهۡلَ الۡكِتٰبِ لِمَ تَصُدُّوۡنَ عَنۡ
سَبِیۡلِ اللّٰهِ مَنۡ اٰمَنَ تَبۡغُوۡنَهَا عِوَجًا وَّاَنۡتُمۡ شُهَدَآءُ ؕ وَمَا اللّٰهُ
بِغَافِلٍ عَمَّا تَعۡمَلُوۡنَ ﴿۹۹﴾ یٰۤاَیُّهَا الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡۤا اِنۡ تُطِیۡعُوۡا فَرِیۡقًا

---

سنڌه قُدر تڪ نِن نشانه۔ تمو اندره گواکه مُقام ابراهيم۔ سئوڪِن يتهه پيٺه اِيستاده رُوزِ تهه حضرتِ ابراهيم
خانه ڪعبه بناڪران آسِ۔ تتهه ڪنهِ منزے چهِ ژور نشانه۔ تتهه منز چهِ حضرتِ ابراهيمه سند پايِ مُبارڪ
سنے متی (۲) تمے پايِ مُبارڪ چهِ سنے مُتِ ژنه نين تانِ (۳) تمِ نشانه چهِ تتهه ڪنهِ پيٺه يُوت ڪال
گزهتهه ته ونهِ موجود (۴) بيه چهِ سئو ڪن از تان موجود۔ باوجود آنڪه ڪعبه شريفس چهِ دُشمنو وارياهِ
پهرِ ه بے حُرمتی ڪرمژ۔ لوهُر مُت ته مُنهدم ڪورمُت۔ مگر تتهه ڪنهِ چهُو نه ڪانهه تغيراه سپُد مُت وَمَنۡ
دَخَلَهٗ كَانَ اٰمِنًا بيهِ يُس اکهاه اتهه گرس منز ژاو تمِ لوب امن وامان وَلِلّٰهِ عَلَی النَّاسِ حِجُّ الۡبَیۡتِ
بيهِ چهُو خدايه سندی خيطره لوڪن پيٺه مٹهِ امهِ گرچ زيارت ڪرنه خيطره بقصد سفر ڪرُن مَنِ اسۡتَطَاعَ اِلَیۡهِ
سَبِیۡلًا يُوهے چهُو مٹهِ لوڪو اندره تمن پيٺه يمن توت واتنڪ طاقت آسه مالی وبدنی وَمَنۡ كَفَرَ فَاِنَّ اللّٰهَ
غَنِیٌّ عَنِ الۡعٰلَمِیۡنَ وونِ يُس اکهاه حج مٹهِ آسته حج ڪرهِ نه۔ مته ڪرِ تن۔ تميڪ نقصان چهُو تس پانس۔
الله تعالیٰ چهُو بے نياز ساروی مخلوقاتو نشهِ۔ قُلۡ یٰۤاَهۡلَ الۡكِتٰبِ لِمَ تَكۡفُرُوۡنَ بِاٰیٰتِ اللّٰهِ فرماوِ يارسُول
الله اے اهلِ ڪتابو ڪيازهِ چهِو انڪار ڪران خدايه سندين آيتن وَاللّٰهُ شَهِیۡدٌ عَلٰی مَا تَعۡمَلُوۡنَ حالانکه الله
تعالیٰ چهُو وچهان ته يه تهه ڪران چهِو۔ سُو ديه وه ضرور اميڪ سزا قُلۡ یٰۤاَهۡلَ الۡكِتٰبِ لِمَ تَصُدُّوۡنَ عَنۡ
سَبِیۡلِ اللّٰهِ فرماوِ تهه يارسُول الله صلی الله عليهِ وسلم اے اهلِ ڪتابو ڪيازه چهو ڪهه پتهه رٹان خدايه
سنزِ وته نشهِ دينِ اسلامه نشهِ مَنۡ اٰمَنَ تم لوڪهه تمو ايمان اُون ته پُوزِ دين قبول ڪور تَبۡغُوۡنَهَا عِوَجًا
ژهانڈان چهِو تهه اتهه دينس اندر نقصان ته خرابی وَّاَنۡتُمۡ شُهَدَآءُ حالانکه توههِ چهِو معلوم يه چهُو

مِّنَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ يَرُدُّوْكُمْ بَعْدَ اِيْمَانِكُمْ كٰفِرِيْنَ ﴿۱۰۰﴾
وَكَيْفَ تَكْفُرُوْنَ وَاَنْتُمْ تُتْلٰى عَلَيْكُمْ اٰيٰتُ اللّٰهِ وَفِيْكُمْ رَسُوْلُهٗ ط
وَمَنْ يَّعْتَصِمْ بِاللّٰهِ فَقَدْ هُدِيَ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿۱۰۱﴾ ع يٰۤاَيُّهَا
الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّقُوا اللّٰهَ حَقَّ تُقٰتِهٖ وَلَا تَمُوْتُنَّ اِلَّا وَاَنْتُمْ
مُّسْلِمُوْنَ ﴿۱۰۲﴾ وَاعْتَصِمُوْا بِحَبْلِ اللّٰهِ جَمِيْعًا وَّلَا تَفَرَّقُوْا وَاذْكُرُوْا
نِعْمَتَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ اِذْ كُنْتُمْ اَعْدَآءً فَاَلَّفَ بَيْنَ قُلُوْبِكُمْ فَاَصْبَحْتُمْ

---

دینِ حق وَمَا اللّٰهُ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعْمَلُوْنَ اللہ تعالیٰ چھُو نہ بے خبر تُہنزٕ و کامیو نشہِ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اِنْ
تُطِيْعُوْا فَرِيْقًا مِّنَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ ای با ایمانو ہر گاہ تہٕ کانہہ کتھاہ مانو کنہ جماعتٕ اہلِ کتابو اندرہ
يَرُدُّوْكُمْ بَعْدَ اِيْمَانِكُمْ كٰفِرِيْنَ تمِ واتناوَن توہہِ تہندٕ ہ ایمان انہ پتہ بیہ کُفرس کُن وَكَيْفَ تَكْفُرُوْنَ
وَاَنْتُمْ تُتْلٰى عَلَيْكُمْ اٰيٰتُ اللّٰهِ وَفِيْكُمْ رَسُوْلُهٗ تہٕ کتھہ پاٹھہِ ہیکو بیہ کُفرس کُن پھیرِت توہہِ پیٹھ ہے چھہِ
خدایہ سندٕ آیات پرنہِ یوان۔ بیٔے توہہِ منز چھُو موجود تسُند پیغمبر وَمَنْ يَّعْتَصِمْ بِاللّٰهِ فَقَدْ هُدِيَ اِلٰى
صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ یُس اکھاہ زورہ کرٕہ تھپ اکسی خدایس پس بتحقیق تس آیہِ وَتھ ہاونہ سیزٕ ہ وتہ کُن
يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّقُوا اللّٰهَ حَقَّ تُقٰتِهٖ اے باایمانو کھوٗ زٕوا اللہ تعالیٰ اَس یُتھ تس کھوٗ زٕن شوبہ۔ تس
کھوٗ زُن گوٚ کہ یتھہ پاٹھہِ تہٕ کُفر وشرکہ نشہِ پتھہ رُوزِوتھے پاٹھہِ رُوزِو ساروی گنہونشہِ تہٕ پتھہ وَلَا تَمُوْتُنَّ
اِلَّا وَاَنْتُمْ مُّسْلِمُوْنَ بیہ مہ مرِو مگر اسلامس پیٹھ جان دِیو اسلامسی پیٹھ وَاعْتَصِمُوْا بِحَبْلِ اللّٰهِ
جَمِيْعًا بیہ کَرِو زورہ تھپ اللہ تعالیٰ سنزٕ ہ مُحکم رزٕہ ساری سمتھہ تہٕ مُتفق رُوزتھ۔ محکمہ رزٕہ تھپ
کرنِ گو سارنی اسلامکین حکمن اصولن تہ فروعن پیٹھ پوٗر عمل کرنِ وَّلَا تَفَرَّقُوْا الگ الگ مہ سپدِو
نااتفاقی مہ کرِو مسلمان آستھ کیازِہ اِسلامس اندر چھہ اتھ سخت ممانعت وَاذْكُرُوْا نِعْمَتَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ
ژِتس پاوِو سُہ نعمت خدایہ سنزٕ یُس تہ خاص توہہِ عطا کرنوہ اے قبیلہ اوس و خزرج کیو مسلمانو اِذْ كُنْتُمْ
اَعْدَآءً یلہِ تہٕ آسوہ اِسلامہ برونٹھ اکھ اکسِندٕ سخت دُشمن فَاَلَّفَ بَيْنَ قُلُوْبِكُمْ فَاَصْبَحْتُمْ بِنِعْمَتِهٖۤ اِخْوَانًا

بِنِعْمَتِهٖٓ اِخْوَانًا ۚ وَكُنْتُمْ عَلٰى شَفَا حُفْرَةٍ مِّنَ النَّارِ فَاَنْقَذَكُمْ
مِّنْهَا ۭ كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اٰيٰتِهٖ لَعَلَّكُمْ تَهْتَدُوْنَ ﴿١٠٣﴾ وَلْتَكُنْ
مِّنْكُمْ اُمَّةٌ يَّدْعُوْنَ اِلَى الْخَيْرِ وَيَاْمُرُوْنَ بِالْمَعْرُوْفِ وَيَنْهَوْنَ
عَنِ الْمُنْكَرِ ۭ وَاُولٰۗىِٕكَ ھُمُ الْمُفْلِحُوْنَ ﴿١٠٤﴾ وَلَا تَكُوْنُوْا كَالَّذِيْنَ
تَفَرَّقُوْا وَاخْتَلَفُوْا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَاۗءَھُمُ الْبَيِّنٰتُ ۭ وَاُولٰۗىِٕكَ لَھُمْ

---

پَس تروو الله تعالىٰ اَن اُلفت تھندین دِلن اندر چنانچِہ تُہہ سپِدوہ تھنزِہ مہربانی سیت پانہ وان بای بایِ۔ بیاکھ مہربانی گیہِ تھندِہ حقہ یہِ کہ وَكُنْتُمْ عَلٰى شَفَا حُفْرَةٍ مِّنَ النَّارِ بیہِ آسِوہ تُہہ اکہ نارہ کھوڈہ کِس بٹھس پیٹھ واتمتِ۔ تیار آسِوہ تتھِ منز کیاہ پیہ ہوتُہہ۔ فَاَنْقَذَكُمْ مِّنْهَا الله تعالىٰ اَن بچاوِوہ تتھہ منز پننہ نِشہِ ایمانکہِ برگتہ۔ لہٰذا اگر یوہ توہہِ یمن خدایہ سنزن مہربانین ہنز قدر۔ پانہ وانِ مہ کرِو ہرہ ہر تہ لایہ لاے۔ امہِ سیت سپدنوہ یمہِ مہربانیہ ضایع كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اٰيٰتِهٖ یتھہ پاٹھِ الله تعالىٰ اَن یہ حُکم واضِح تہ نِن پاٹھِ بیان فرمووِتھے پاٹھہ چھُو الله تعالىٰ پنن احکام تہ ہدایتہ چہِ دلیلہ صاف صاف بوضاحت بیان کران۔ لَعَلَّكُمْ تَهْتَدُوْنَ یُتھہ توہہِ وَتھہ یہِ راہ راستس کُن تہ تتھہ وتہِ پیٹھ رُوزِوتُہہ ثابتِ تہ محکم وَلْتَكُنْ مِّنْكُمْ اُمَّةٌ يَّدْعُوْنَ اِلَى الْخَيْرِ بیہِ چھُو لازِم توہہِ اندرہ آسُن اکھ جماعتھاہ یمِ ناد آسن دِوان لُوکن خیرس کُن یعنی دینِ اسلامس کُن یا خیرہ چَن کامین کُن۔ پانہ وان متحدّ و متفق روزنس کُن وَيَاْمُرُوْنَ بِالْمَعْرُوْفِ وَيَنْهَوْنَ عَنِ الْمُنْكَرِ بیہِ یمِ اَمر آسَن کران رٹزن کامین ہُند۔ منع آسن کران تیچھہ کامیونشہِ۔ معروف گیہِ تمہِ کامہِ یمہ مُوافق آسَن قرآن و حدیثس۔ مُنکر گیہِ تمہِ کامہِ یمہِ مخالفِ آسن کِتاب و سنّتس وَاُولٰۗىِٕكَ ھُمُ الْمُفْلِحُوْنَ رٹزن کامین ہُند امر کرہ وَن تہ تیچھہ کامین ہُند منع کرہ ونِ جماعتھی چھہ آخر تس منز ثواب حاصل کرنس اندر کامیاب تہِ رستگار وَلَا تَكُوْنُوْا كَالَّذِيْنَ تَفَرَّقُوْا وَاخْتَلَفُوْا بیہِ مہ آسِوتُہہ اے مسلمانو تمن لُوکن ہیہِ یمو مُتفرق تہ الگ الگ سپدِت دِینس اندر پانہ وانِ اختلاف کور مِنْۢ بَعْدِ مَا جَاۗءَھُمُ الْبَيِّنٰتُ صاف صاف تہ واضح احکام تمن نِشہِ واتنہ پتہ وَاُولٰۗىِٕكَ لَھُمْ

عَذَابٌ عَظِيمٌ ﴿١٠٥﴾ يَوْمَ تَبْيَضُّ وُجُوهٌ وَتَسْوَدُّ وُجُوهٌ ۚ فَأَمَّا
الَّذِينَ اسْوَدَّتْ وُجُوهُهُمْ أَكَفَرْتُمْ بَعْدَ إِيمَانِكُمْ فَذُوقُوا
الْعَذَابَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْفُرُونَ ﴿١٠٦﴾ وَأَمَّا الَّذِينَ ابْيَضَّتْ وُجُوهُهُمْ
فَفِي رَحْمَةِ اللَّهِ ۖ هُمْ فِيهَا خَالِدُونَ ﴿١٠٧﴾ تِلْكَ آيَاتُ اللَّهِ
نَتْلُوهَا عَلَيْكَ بِالْحَقِّ ۗ وَمَا اللَّهُ يُرِيدُ ظُلْمًا لِلْعَالَمِينَ ﴿١٠٨﴾
وَلِلَّهِ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ ۚ وَإِلَى اللَّهِ تُرْجَعُ

---

عَذَابٌ عَظِيمٌ تهندي خيطره ڇهوبيه بڙ عذاب يَوْمَ تَبْيَضُّ وُجُوهٌ وَتَسْوَدُّ وُجُوهٌ تمي دوهه يمهِ دوهه اڈين هندِ بُتهه سپدَن سفيد ته اڈين هندِ بُتهه سپدَن سِياه فَأَمَّا الَّذِينَ اسْوَدَّتْ وُجُوهُهُمْ پَس يمن هندِ بُتهه سياه سپدَن تِمن ييه وننه أَكَفَرْتُمْ بَعْدَ إِيمَانِكُمْ فَذُوقُوا الْعَذَابَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْفُرُونَ كياه اِنكار كوروه توهه اِقرار كرنه پته۔ پَس ژهوِ مزه جهنمكهِ عذابك۔ كِيازه توهے ايمان اننه پته كُفر چهِ كامهِ آسِوه كران وَأَمَّا الَّذِينَ ابْيَضَّتْ وُجُوهُهُمْ فَفِي رَحْمَةِ اللَّهِ وونِ تِمن هندِ بُتهه رُوشن ته سفيد آسَن۔ تمِ آسَن خدايهِ سندس رحمس اندر يعني رحمچه جايه اندر۔ سُو گو جنت۔ هُمْ فِيهَا خَالِدُونَ تمِ روزَن تتهه جنتس اندر هميشه تِلْكَ آيَاتُ اللَّهِ نَتْلُوهَا عَلَيْكَ بِالْحَقِّ يه بيان آوُ كرنه تمِ چهِ خدايهِ سندِ آيات ته فيصله جات۔ تمِ اَسِ توهه پيٹهه صحيح طور پران چهِ يارسُول الله وَمَا اللَّهُ يُرِيدُ ظُلْمًا لِلْعَالَمِينَ الله تعالىٰ چهُونه هرگز مخلُوقن پيٹهه ظُلم يژهان كرُن۔ وون يه كنيژ هاه كانسهِ هندِه خيطره جزاء وسزا بيان آوُ كرنه تهِ چهُو بالكُل مناسبِ ته موزُون تهندِه كامهِ موجُب وَلِلَّهِ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ خدايهِ سُندِ ى چهُو ته سورُى يه آسمانَن ته زمينس اَندر چهُو تتهه كُن نظر كرِ تهه پزهِ ها سارى پنه نِس مالكهِ سنز فرمانبردارى كرنِ۔ يمو فرمانبردارى كر تمِ چهِ ثواب واَجرس مستحق۔ يمو نافرمانى كر تمِ چهِ عذاب وسزاءس مستحق وَإِلَى اللَّهِ تُرْجَعُ الْأُمُورُ خدايهِ سِى كُن ينِ واتناونه سارى مُعاملات ته سارى مُقدمات۔ فيصله چهُو تس كرُن۔ تس وراى بياكهه اختياره وولاه آسهِ نه كانهه تهِ كُنْتُمْ خَيْرَ أُمَّةٍ أُخْرِجَتْ لِلنَّاسِ

الْاُمُوْرُ ﴿۱۰۹﴾ كُنْتُمْ خَيْرَ اُمَّةٍ اُخْرِجَتْ لِلنَّاسِ تَاْمُرُوْنَ
بِالْمَعْرُوْفِ وَتَنْهَوْنَ عَنِ الْمُنْكَرِ وَتُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ ؕ وَلَوْ
اٰمَنَ اَهْلُ الْكِتٰبِ لَكَانَ خَيْرًا لَّهُمْ ؕ مِنْهُمُ الْمُؤْمِنُوْنَ وَاَكْثَرُهُمُ
الْفٰسِقُوْنَ ﴿۱۱۰﴾ لَنْ يَّضُرُّوْكُمْ اِلَّاۤ اَذًى ؕ وَاِنْ يُّقَاتِلُوْكُمْ يُوَلُّوْكُمُ
الْاَدْبَارَ قف ثُمَّ لَا يُنْصَرُوْنَ ﴿۱۱۱﴾ ضُرِبَتْ عَلَيْهِمُ الذِّلَّةُ اَيْنَ مَا
ثُقِفُوْۤا اِلَّا بِحَبْلٍ مِّنَ اللّٰهِ وَحَبْلٍ مِّنَ النَّاسِ وَبَآءُوْ بِغَضَبٍ

---

اے مسلمانو آسوہ تہہ اُمتو اندرہ بہتر امتاہ در علم ازلی۔ کڈنہ آمرؔ لوکن ہندہ فائیدہ خیطرہ۔ تہندہ بہتر آسنکؔ وجہ چھوکہِ تَاْمُرُوْنَ بِالْمَعْرُوْفِ وَتَنْهَوْنَ عَنِ الْمُنْكَرِ تہہ چھوہِ لوکن رژن کامین ہُند امر کران۔ تہِ تیچھ کامیونشہِ منع کران۔ وَتُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ بیہِ چھوہِ پانہ کُنس خدایس پژھہ کرنس پیٹھ ڈاڈ کران۔ خداچھوِن ہمیشہ منزّہ تہ پاک زانان شریک آسنہ نِشہ۔ تس ایمان اَنتھ تہ پژھ کرتھ۔ تمن تمن پژھ کرن لازم چھہ تمن سارنی چیزن چھوہ پژھ کران وَلَوْ اٰمَنَ اَهْلُ الْكِتٰبِ لَكَانَ خَيْرًا لَّهُمْ ہرگہے یہودو نصاریٰ تہ ایمان انہ ہن، خدایس کُنوی زانہ ہن، پیغمبر برحقس پژھ کرہ ہن۔ تہِ اُوس تہندہِ خیطرہ سیٹھاہ بہتر۔ تلہِ سپد ہن تم خیر الامم آسنس منز توہہ سیت شامل۔ مِنْهُمُ الْمُؤْمِنُوْنَ وَاَكْثَرُهُمُ الْفٰسِقُوْنَ تموِ اندرہ چھہِ بعضی ایمان انہ ونِ۔ اکثر چھہ فاسق تہ کافرِ۔ بلکہ چھہِ تم مسلمانن دِینی و دُنیوی ضرر واتناوِنہ خیطرہ سخت کوشش کران مگر لَنْ يَّضُرُّوْكُمْ اِلَّاۤ اَذًى ہرگز ہیکن نہ تم توہہِ ضرر واتناوِتھ۔ مگر زیوہ سیت وَنِ تیچھ کتھ تمی سیت شہلاوَن دِل پنّن وَاِنْ يُّقَاتِلُوْكُمْ ہرگاہ تمِ توہہِ سیت مُقابلہ کرنہ خیطرہ نیرن يُوَلُّوْكُمُ الْاَدْبَارَ ہیکن نہ مُقابلہ کرتھ بلکہِ ژلن توہہِ کُن تھرَ پھرِ تھہِ شکست کھیوان ثُمَّ لَا يُنْصَرُوْنَ توپتہ اِیکھ نہ کُنہ طرفہ مدد کرنہ ضُرِبَتْ عَلَيْهِمُ الذِّلَّةُ اَيْنَ مَا ثُقِفُوْۤا ترِاونہ چھہ آمرؔ تمن پیٹھ خواری یتہ تم لبنہ ین تہ تتہِ اِلَّا بِحَبْلٍ مِّنَ اللّٰهِ وَحَبْلٍ مِّنَ النَّاسِ مگرے کانہہ بچاوِک ذریعہ خدایہ سندہ طرفہ یا لُوکن ہندہ طرفہ تموِ اندرہ کانسہِ حاصل آسہِ سُوروزِہ تمہِ

مِّنَ اللّٰهِ وَضُرِبَتْ عَلَيْهِمُ الْمَسْكَنَةُ ؕ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ كَانُوْا
يَكْفُرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَيَقْتُلُوْنَ الْاَنْۢبِيَآءَ بِغَيْرِ حَقٍّ ؕ ذٰلِكَ
بِمَا عَصَوْا وَّكَانُوْا يَعْتَدُوْنَ ﴿۱۱۲﴾ لَيْسُوْا سَوَآءً ؕ مِنْ اَهْلِ
الْكِتٰبِ اُمَّةٌ قَآئِمَةٌ يَّتْلُوْنَ اٰيٰتِ اللّٰهِ اٰنَآءَ الَّيْلِ وَ
هُمْ يَسْجُدُوْنَ ﴿۱۱۳﴾ يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ وَ
يَاْمُرُوْنَ بِالْمَعْرُوْفِ وَيَنْهَوْنَ عَنِ الْمُنْكَرِ وَيُسَارِعُوْنَ

---

خواری نِشہِ محفوظ۔ خدایہ سُند ذریعہ گوکھِ کانہہ آسہِ تموٲندرہ خدایہ سَندِس عَباد تس سیت مشغول۔ مسلمانن سیت آسہِ نہ مقابلہ ومُقاتلہ کران لوگن ہندہِ ذریعہ ٲندرہ چھُو مطلب تمِ آسہِ مسلمانن سیت صُلح تہٕ مُعاہدہ کٲرمُت۔ وَبَآءُوْ بِغَضَبٍ مِّنَ اللّٰهِ حاصل کرِتھ آے تمِ یہُود خدایہ سُند غضب وَضُرِبَتْ عَلَيْهِمُ الْمَسْكَنَةُ بیہِ آیہِ تراونہ تمن پیٹھ مُحتاجی تہٕ بدحالی۔ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ كَانُوْا يَكْفُرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَيَقْتُلُوْنَ الْاَنْۢبِيَآءَ بِغَيْرِ حَقٍّ یہِ سزا آکھ امی مُوکھہِ دِنہ کہ تمِ آس خدایہ سندین آیاتن تہٕ احکامن اِنکار کران۔ تمن ہندہ تعمیل کرنہ نِشہِ دانستہ پتھ روزان۔ بیہِ آسِ پیغمبرن یعنے تمِ احکامِ آلٰہی واتناوہ ونین ناحق قتل کران ذٰلِكَ بِمَا عَصَوْا وَّكَانُوْا يَعْتَدُوْنَ یہِ بے عملی تہٕ بدکرِداری تہٕ شقاوت سپز تمن امی وجہہ، کہ تموِ کرنافرمانی، بیہِ آس تمِ حدہ ڈلان لَيْسُوْا سَوَآءً چھِنہ تمِ ساری ہِی تہٕ برابر کیازِہ مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ اُمَّةٌ قَآئِمَةٌ يَّتْلُوْنَ اٰيٰتِ اللّٰهِ اٰنَآءَ الَّيْلِ وَ هُمْ يَسْجُدُوْنَ اہلِ کتابو اندرہ چھہ اکھ جماعتھاہ یِم راہِ راستس پیٹھ، دینِ حقس پیٹھ قائم رُوزِتھ چھِہ۔ رات کُیت چھِہ خدایہ سندِ آیات پران۔ بیہِ چھِہ تمسندس حضورس اندر سر بسجود روزان يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ وَيَاْمُرُوْنَ بِالْمَعْرُوْفِ وَيَنْهَوْنَ عَنِ الْمُنْكَرِ وَيُسَارِعُوْنَ فِي الْخَيْرٰتِ پڑھہ چھہ تمن کُنِس خدایس بیہِ قیامتکس دوہس۔ بیہِ چھِہ رژن کامِن ہُند امر کران بیہِ چھِہ تچھہ کامیو نِشہِ منع کران۔ بیہِ چھِہ تمِ رژن کامِن اندر بُرونٹھ گژھان۔ وَاُولٰٓئِكَ مِنَ الصّٰلِحِيْنَ بیہِ چھِہ تمِ نیکوکارو ٲندرہ وَمَا يَفْعَلُوْا مِنْ خَيْرٍ فَلَنْ

فِي الْخَيْرٰتِ ۭ وَاُولٰۗىِٕكَ مِنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿۱۱۴﴾ وَمَا يَفْعَلُوْا
مِنْ خَيْرٍ فَلَنْ يُّكْفَرُوْهُ ۭ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِالْمُتَّقِيْنَ ﴿۱۱۵﴾
اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَنْ تُغْنِيَ عَنْھُمْ اَمْوَالُھُمْ وَلَآ اَوْلَادُھُمْ
مِّنَ اللّٰهِ شَـيْـــًٔـا ۭ وَاُولٰۗىِٕكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ۚ ھُمْ فِيْھَا خٰلِدُوْنَ ﴿۱۱۶﴾
مَثَلُ مَا يُنْفِقُوْنَ فِيْ هٰذِهِ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا كَمَثَلِ رِيْحٍ فِيْھَا
صِرٌّ اَصَابَتْ حَرْثَ قَوْمٍ ظَلَمُوْٓا اَنْفُسَھُمْ فَاَھْلَكَتْهُ ۭ وَمَا
ظَلَمَھُمُ اللّٰهُ وَلٰكِنْ اَنْفُسَھُمْ يَظْلِمُوْنَ ﴿۱۱۷﴾ يٰٓاَيُّھَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا

---

يُّكْفَرُوْهُ بیہِ یوسہٕ رٔژکامہ تمِ کرن۔ سُو ہرگز تمِن نِش پوشیدہ ایٔنہ تھاونہٕ۔ بلکہ پیٚکھ تِمۄک ثواب ضرور عطا کرنہ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِالْمُتَّقِيْنَ اللہ تعالیٰ چھُو پورٕ زانن وول پرہیزگارن اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَنْ تُغْنِيَ عَنْھُمْ اَمْوَالُھُمْ وَلَآ اَوْلَادُھُمْ مِّنَ اللّٰهِ شَـيْـــًٔـا پزٕ پاٹھِ تِمو لُوکو اِنکار کور، کُفر سی پیٹھہ رُود، تِمن ہیکہِ نہ خدایہِ سِندہ عذابہ نِشہِ بچاوِت تہٕ مُوکلاوِت کانہہ۔ تہُند مال تہٕ تہُند اولادُکنہِ قسمہ وَاُولٰۗىِٕكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ھُمْ فِيْھَا خٰلِدُوْنَ تیٚمے لوکھ چھہِ جہنّمی۔ یِمنی چھُو تتھہ منٛز ہمیشہ روزُن۔ مَثَلُ مَا يُنْفِقُوْنَ فِيْ هٰذِهِ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا مثال چھہ تِچِھیہ تِم لوک خرچ کران چھہِ یتھہ دُنیاچہِ زندگی اندر۔ كَمَثَلِ رِيْحٍ فِيْھَا صِرٌّ اَصَابَتْ حَرْثَ قَوْمٍ ظَلَمُوْٓا اَنْفُسَھُمْ فَاَھْلَكَتْهُ تِمہِ واوِچ مثال یتھہ منٛز سخت سردی آسہِ۔ سُوی ولتہِ کُنہِ قومہ کِس زراعتس تِموٚ پانٕ پانس ظُلم کُور۔ پَس کور تمِ واوَن سُہو تہُند زراعت تباہ تہٕ بُرباد یتھے پاٹھِ گژھہِ تِمن ہُند خرچ کُرن سورُی آخر تَس اندر ضائع تہٕ بیکار وَمَا ظَلَمَھُمُ اللّٰهُ وَلٰكِنْ اَنْفُسَھُمْ يَظْلِمُوْنَ اللہ تعالیٰ ان کور نہ تِمن پیٹھہ ظُلم۔ بلکہ کور تموِ پانِ پانس ظُلم کُفر کرنہ سیت کیازِہ کافرن ہنٛز کانہہ عمل چھنہ کُفرہ سببہ قبولیتّس سزاوار يٰٓاَيُّھَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّخِذُوْا بِطَانَةً مِّنْ

لَا تَتَّخِذُوْا بِطَانَةً مِّنْ دُوْنِكُمْ لَا يَاْلُوْنَكُمْ خَبَالًا ۭ وَدُّوْا مَا عَنِتُّمْ ۚ قَدْ بَدَتِ الْبَغْضَاۗءُ مِنْ اَفْوَاهِهِمْ ښ وَمَا تُخْفِيْ صُدُوْرُھُمْ اَكْبَرُ ۭ قَدْ بَيَّنَّا لَكُمُ الْاٰيٰتِ اِنْ كُنْتُمْ تَعْقِلُوْنَ ﴿١١٨﴾ ھٰٓاَنْتُمْ اُولَاۗءِ تُحِبُّوْنَھُمْ وَلَا يُحِبُّوْنَكُمْ وَتُؤْمِنُوْنَ بِالْكِتٰبِ كُلِّھٖ ۚ وَاِذَا لَقُوْكُمْ قَالُوْٓا اٰمَنَّا ښ وَاِذَا خَلَوْا عَضُّوْا عَلَيْكُمُ الْاَنَامِلَ مِنَ الْغَيْظِ ۭ قُلْ مُوْتُوْا بِغَيْظِكُمْ ۭ اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ ﴿١١٩﴾ اِنْ

---

اي باايمانؤ! پنهنجي جماعت کان سواءِ ٻين کي همراز نه بڻايو ڇاڪاڻ ته دُوْنِكُمْ لَا يَاْلُوْنَكُمْ خَبَالًا اهي ماڻهو توهان سان فتنو فساد پکيڙڻ ۾ ڪا ڪسر نه ڇڏيندا. وَدُّوْا مَا عَنِتُّمْ اهي توهان کي نقصان پهچائڻ ۾ ڪابه ڪسر نه ڇڏيندا. قَدْ بَدَتِ الْبَغْضَاۗءُ مِنْ اَفْوَاهِهِمْ انهن جي زبانن مان دشمني ظاهر ٿي پوي ٿي. وَمَا تُخْفِيْ صُدُوْرُھُمْ اَكْبَرُ ۽ جيڪا انهن جي سينن ۾ لڪل آهي سا ان کان به وڌيڪ آهي. قَدْ بَيَّنَّا لَكُمُ الْاٰيٰتِ اِنْ كُنْتُمْ تَعْقِلُوْنَ اسان توهان کي نشانيون بيان ڪري ڇڏيون آهن جيڪڏهن توهان عقل وارا آهيو. ھٰٓاَنْتُمْ اُولَاۗءِ تُحِبُّوْنَھُمْ وَلَا يُحِبُّوْنَكُمْ ڏسو! توهان انهن سان محبت ڪريو ٿا ۽ اهي توهان سان محبت نٿا ڪن. وَتُؤْمِنُوْنَ بِالْكِتٰبِ كُلِّھٖ ۽ توهان سڀني ڪتابن تي ايمان رکو ٿا. وَاِذَا لَقُوْكُمْ قَالُوْٓا اٰمَنَّا ۽ جڏهن توهان سان ملن ٿا ته چون ٿا ته اسان ايمان آندو. وَاِذَا خَلَوْا عَضُّوْا عَلَيْكُمُ الْاَنَامِلَ مِنَ الْغَيْظِ ۽ جڏهن اڪيلا ٿين ٿا ته توهان تي ڪاوڙ کان آڱريون چٻاڙين ٿا. قُلْ مُوْتُوْا بِغَيْظِكُمْ چئو ته پنهنجي ڪاوڙ ۾ مري وڃو. اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ بيشڪ الله سينن جي ڳالهين کي چڱيءَ طرح ڄاڻندڙ آهي.

تَمْسَسْكُمْ حَسَنَةٌ تَسُؤْهُمْ ۚ وَاِنْ تُصِبْكُمْ سَيِّئَةٌ يَّفْرَحُوْا
بِهَا ۭ وَاِنْ تَصْبِرُوْا وَتَتَّقُوْا لَا يَضُرُّكُمْ كَيْدُھُمْ شَيْـــًٔا ۭ اِنَّ
اللّٰهَ بِمَا يَعْمَلُوْنَ مُحِيْطٌ ﴿١٢٠﴾ وَاِذْ غَدَوْتَ مِنْ اَھْلِكَ
تُبَوِّئُ الْمُؤْمِنِيْنَ مَقَاعِدَ لِلْقِتَالِ ۭ وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ﴿١٢١﴾
اِذْ ھَمَّتْ طَّاۗىِٕفَتٰنِ مِنْكُمْ اَنْ تَفْشَلَا ۙ وَاللّٰهُ وَلِيُّهُمَا ۭ وَعَلَي
اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُوْنَ ﴿١٢٢﴾ وَلَقَدْ نَصَرَكُمُ اللّٰهُ بِبَدْرٍ وَّاَنْتُمْ

---

تمهِ سارے ڪُتبِ يعني تهندين سينن اندر پوشيده آهن. اِنْ تَمْسَسْكُمْ حَسَنَةٌ تَسُؤْهُمْ هر گاه توهان کي ڪا بهتر حالت پيش ايندي آهي. ته انهن کي ناخوشي ٿيندي آهي. ۽ جيڪڏهن توهان تي ڪا مصيبت اچي ٿي وَاِنْ تُصِبْكُمْ سَيِّئَةٌ يَّفْرَحُوْا بِهَا هر گاه توهان کي ڪا مصيبت يا غم واقع ٿئي ٿو ته انهن ڪري اهي خوش ٿين ٿا. ۽ تمهِ سيت. وڏا توهين قسمڪ دُشمن آهن توهين سيت شوبيا توهان دوستي لائين يا دوستي هند تعلقات ٿاوني. مگر ٿيندا ٿيا ٿانبر وٿهنزه دُشمني سيت. تمهِ ڪ علاج ٿيو صبر وَاِنْ تَصْبِرُوْا وَتَتَّقُوْا لَا يَضُرُّكُمْ كَيْدُهُمْ شَيْـًٔا هر گاه توهين صبر واستقلال ڪرِت خدا ايسِ کهوڙو، ڪيهنه ضرر ريڪهِ نه واتنا وِتهه توهِ تهوند مڪرو فريب ڪنه قسمه اِنَّ اللّٰهَ بِمَا يَعْمَلُوْنَ مُحِيْطٌ پزياٽ الله تعالٰي ٿيو ٿهه سارسي يه تمِ ڪران ٿهِ اِحاطه ڪره وُن ته پوُر زانه وُن. سو ديه توهه تهندين حالاتن هندِ اطلاع. تمن ديه سزا وَاِذْ غَدَوْتَ مِنْ اَهْلِكَ تُبَوِّئُ الْمُؤْمِنِيْنَ مَقَاعِدَ لِلْقِتَالِ بيه ٿهوه توهه ياد يار سول الله يلهِ صُبحس دراوه تهه حضرتِ عائشه صديقه سندِه حجرهِ مُبارڪ ڪه اندره تو پته واتوه تهه ڪوهِ احُدس نزدِيڪ تته بيتوڪهه توهيه بالايمان محاذِ جنگس پيٺه مُناسب مُناسِب جاين ٿهراونِ. وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ الله تعالٰي اُوس تمهِ ساتڪُ تهند سورُوي ڪلام بُوزان تهند حال زانان اِذْ هَمَّتْ طَّآئِفَتٰنِ مِنْكُمْ اَنْ تَفْشَلَا وَاللّٰهُ وَلِيُّهُمَا يلهِ نا توهه اندره دويو جما ژوهمّت هار نڪُ ته واپس ژله نڪُ اِراده ڪريوو. خدا ٿيو تهند دوست ته مددگار. سوڪهه پاٺهِ ديه ها تمن همّت هارِ تهه ژلنه وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُوْنَ باايمانن پزهِ خدا يه سي پيٺه

اَذِلَّةٌ ۚ فَاتَّقُوا اللّٰهَ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ﴿۱۲۳﴾ اِذْ تَقُوْلُ لِلْمُؤْمِنِيْنَ
اَلَنْ يَّكْفِيَكُمْ اَنْ يُّمِدَّكُمْ رَبُّكُمْ بِثَلٰثَةِ اٰلٰفٍ مِّنَ الْمَلٰٓئِكَةِ
مُنْزَلِيْنَ ﴿۱۲۴﴾ بَلٰٓى ۙ اِنْ تَصْبِرُوْا وَتَتَّقُوْا وَيَاْتُوْكُمْ مِّنْ فَوْرِهِمْ
هٰذَا يُمْدِدْكُمْ رَبُّكُمْ بِخَمْسَةِ اٰلٰفٍ مِّنَ الْمَلٰٓئِكَةِ مُسَوِّمِيْنَ ﴿۱۲۵﴾
وَمَا جَعَلَهُ اللّٰهُ اِلَّا بُشْرٰى لَكُمْ وَلِتَطْمَئِنَّ قُلُوْبُكُمْ بِهٖ ۗ وَمَا
النَّصْرُ اِلَّا مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ الْعَزِيْزِ الْحَكِيْمِ ﴿۱۲۶﴾ لِيَقْطَعَ طَرَفًا مِّنَ

---

ڀُروسو ڪرڻ. تُهنجو مددگار ڇڙو پريتم وقت سُوءِ. ڪم همت گُرهه نه ڪُنهن وقت لاڳو وَلَقَدْ نَصَرَكُمُ اللّٰهُ بِبَدْرٍ پڙپاٺ الله تعالیٰ اُن ڪوړ مدد توهه جنگ بدرس منزِ وَاَنْتُمْ اَذِلَّةٌ يلهِ تُهه بظاهر سامانچ ڪمي ته فوجهِ ڪمي سببه پَست آسوهِ سُوحال آسته ڪُر نوه ياري محض تهنده پرهيزگاري ته صبر واستقلالکهِ برکته فَاتَّقُوا اللّٰهَ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ پَس گُهوڙو تُهه هميشه خدايس تاڪه توهِ آسه يوان موقعه تهنزه شڪر گذاري هُند اِذْ تَقُوْلُ لِلْمُؤْمِنِيْنَ اَلَنْ يَّكْفِيَكُمْ اَنْ يُّمِدَّكُمْ رَبُّكُمْ بِثَلٰثَةِ اٰلٰفٍ مِّنَ الْمَلٰٓئِكَةِ مُنْزَلِيْنَ يه مددِ ته ياري سپز توهه تمه وقته عطايلهِ تُهه يا رسُول الله دپان آسوهِ باايمانن (تمِ يهِ خبر بُوزت پريشان آسِ سپدمت ڪه ڪافرون ووت بيه فوج مددِ دنه خيطره). ڪياه توهه ڇهنادِل مضبُوط ڪرنه خيطره يه ڪتهه ڪافي ڪه توهِ ڪرهِ الله تعالیٰ مدد تريو ساسو (۳۰۰۰) ملائيڪو سيت. تمِ والنه آئے تُهندِه مددڪهِ خيطره آسمانکهِ طرفه بَلٰٓى اِنْ تَصْبِرُوْا وَتَتَّقُوْا وَيَاْتُوْكُمْ مِّنْ فَوْرِهِمْ بے شڪ ڇهه يه ڪتهه ڪافي بلڪه اڄ ڪياه ڇهه ڪتهے هرگاه تهه صبر واستقلال ڪُرِ وبيه گُهوڙِ خدايس ادے دُشمن توهه پيٺه جوش وخروشهِ سان هنگه ته منگه تهِ حمله ڪرن هٰذَا يُمْدِدْكُمْ رَبُّكُمْ بِخَمْسَةِ اٰلٰفٍ مِّنَ الْمَلٰٓئِكَةِ مُسَوِّمِيْنَ تمي ساته ڪرهِ توهِ الله تعالیٰ يُس تُهند رُب ڇهوپانژساس (۵۰۰۰) ملائيڪو سيت مدد. تمِ نشانه دار آسن مخصوص وردي لاگت. تمِ يوُره ڪَنهِ تيار آسن وَمَا جَعَلَهُ اللّٰهُ اِلَّا بُشْرٰى لَكُمْ الله تعالیٰ ان ڪورنه يه امداد مگر تُهندِ غلبڪهِ بشارته تهِ خوشخبري خيطره وَلِتَطْمَئِنَّ قُلُوْبُكُمْ بِهٖ بيه يُته تُهندِ دِل قرار رٹن امهِ سيت وَمَا النَّصْرُ اِلَّا مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ

الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اَوْ يَكْبِتَهُمْ فَيَنْقَلِبُوْا خَآئِبِيْنَ ﴿۱۲۷﴾ لَيْسَ لَكَ
مِنَ الْاَمْرِ شَيْءٌ اَوْ يَتُوْبَ عَلَيْهِمْ اَوْ يُعَذِّبَهُمْ فَاِنَّهُمْ ظٰلِمُوْنَ ﴿۱۲۸﴾
وَلِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ؕ يَغْفِرُ لِمَنْ يَّشَآءُ وَ
يُعَذِّبُ مَنْ يَّشَآءُ ؕ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿۱۲۹﴾ ع يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ
اٰمَنُوْا لَا تَاْكُلُوا الرِّبٰوٓا اَضْعَافًا مُّضٰعَفَةً ۪ وَّاتَّقُوا

---

الْعَزِيْزِ الْحَكِيْمِ بیہِ چھ حقیقت کہ یاری تہ مدد چھوٗنہ کانسہِ ہندِہ طرفہ عزتہ والس تہ حکمتہ والسِ خدایس ورای لِيَقْطَعَ طَرَفًا مِّنَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا یُتھہ کافر وأندرہ اکس جماعتس ہلاک گرِہ اَوْ يَكْبِتَهُمْ فَيَنْقَلِبُوْا خَآئِبِيْنَ یا کریکھ خوار وذلیل پَس ژلن تمِ واپَس ناکام گژھتھ۔ چنانچہ ستتن کافرن تمِ بڈِ ڈانگر آسِ آیہِ گردن دِنہ۔ ستت زنِ آی گرفتار کرنہ۔ باقی ژلِ شکست فاش کھیتھ۔ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم یلہِ جنگِ احُدس منز کافرن ہندِہ طرفہ سخت تکلیف ووٗت۔ دَندانِ مُبارک سپد شہید روی مُبارکس سنیای خود شریفک کروارِیاہ زخم آی بدنِ مُبارکس بیہ آی حضرت حمزہ رضی اللہ عنہ نہایت بے دردی سان شہید کرنہ۔ دِلِ مُبارک سپُد نبی کریمہ سنُد تمہِ سیت سیٹھاہ آزردَہ۔ اِرادہ کورُکھ کہ دُشمن پیٹھہ کرہ ہن دُعایِ بد۔ اَتی سپُد نازِل یہِ آیہ کریمہ لَيْسَ لَكَ مِنَ الْاَمْرِ شَيْءٌ اے پیغمبر خدا توہہِ نہ حض چھوٗہ نہ دخلاہ اَتھہ مُعاملس اندر کانہہِ سپدِ تن مسلمان کانہہ متہ سپدِ تن۔ امیوک سوٗروی اِختیار چھُو خدایس اَتھہِ توہہِ پزہِ صبر کرُن۔ اَوْ يَتُوْبَ عَلَيْهِمْ اَوْ يُعَذِّبَهُمْ توتانِ یُو تانِ دویو چیزو اندرہ اکھ چیز لبنہ ییہِ یا دیہ اللہ تعالیٰ تمن توبہ کرنکُ توفیق۔ تمِ سپدَن مُسلمان۔ تہُند دِلِ مُبارک سپدِہ خوش یا کریکھ عذابس گرفتار۔ ہرگاہ کُفرسی پیٹھہ تموِ اصرار کور۔ تمہِ سیت شہلن مُسلمانن ہندِ دلِ فَاِنَّهُمْ ظٰلِمُوْنَ کیازِہ تمِ چھہِ پزپاٹھہِ ظالم کُفر وشرِک کرنکہِ سببہ۔ وَلِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ خدایہ سُندُی چھُوتہِ سوٗری یہِ آسمانَ تہ زمینَ اندر چھُو يَغْفِرُ لِمَنْ يَّشَآءُ وَ يُعَذِّبُ مَنْ يَّشَآءُ مغفرت گرِہ یَس یژھِ تِہ تَس۔ عذاب کرِہ یَس یژھِ تہ تَس وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن

اللهَ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ ﴿۱۳۰﴾ وَاتَّقُوا النَّارَ الَّتِيْٓ اُعِدَّتْ
لِلْكٰفِرِيْنَ ﴿۱۳۱﴾ وَاَطِيْعُوا اللهَ وَالرَّسُوْلَ لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ ﴿۱۳۲﴾
وَسَارِعُوْٓا اِلٰى مَغْفِرَةٍ مِّنْ رَّبِّكُمْ وَجَنَّةٍ عَرْضُهَا السَّمٰوٰتُ
وَالْاَرْضُ ۙ اُعِدَّتْ لِلْمُتَّقِيْنَ ﴿۱۳۳﴾ الَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ فِي السَّرَّآءِ
وَالضَّرَّآءِ وَالْكٰظِمِيْنَ الْغَيْظَ وَالْعَافِيْنَ عَنِ النَّاسِ ۭ وَاللهُ

---

سیٹھاہ رحم کرہ وُن يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَاْكُلُوا الرِّبٰوٓا اَضْعَافًا مُّضٰعَفَةً ۠ اے باایمانو مہ کھیو مال دُو گُنائو دُو گُنائو کیازہ یہِ چھہ سو کام یُس جہنمس واتناوِہ۔ سوٗد چھُو حرام کم آسِتن یا زیادہ۔ یہِ چھُونہ مُراد دُو گُنائو دُو گُنائو مہ کھیو کم کھیو۔ تتھ چھہِ ونان قیدِ واقعی۔ تمہِ وقتہ اُوس واقع یتھے پاٹھہِ سپدان۔ لوک آسِ دُو گُناوَ دُو گُناوَ سوٗد وصُول کران۔ یہِ چھُونہ قیدِ احترازی تمیک مطلب یہِ نیر ہا کہ دُو گُناوَ دُو گُناوَ آسہانا جایز کم کم آسہا جائز۔ وَاتَّقُوا اللهَ کھُوژو خدایس لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ تاکہِ تُہہ سپدِو کامیاب۔ نارہ نِشہ نجات لبتھ واتو جنّتس وَاتَّقُوا النَّارَ الَّتِيْٓ بیہِ کھوژو تتھ نارس اُعِدَّتْ لِلْكٰفِرِيْنَ یُس نار دراصل تیار آمُت چھُو کرنہ کافرن ہندِہ خیطرہ۔ باایمان آستھ مہ واتناویوٗکھ پنُن پان کافرن ہنزہ جایہِ منز۔ نافرمانیو سیت۔ وَاَطِيْعُوا اللهَ حُکم مانِو خدایہِ سُند وَالرَّسُوْلَ بیہِ تہندِس پیغمبرہ سُند لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ دیوہَ توہہِ پیٹھہ رحم ییہِ کرنہ قیامتک دوہ وَسَارِعُوْٓا اِلٰى مَغْفِرَةٍ مِّنْ رَّبِّكُمْ بیہِ تُلِو دور پنہ نِس پروردگارہ سندِس بڈس مغفرتس کُن۔ تمہِ عملہ کروَ تمِو سیت مغفرت تہ جنت حاصل سپدِیو وَجَنَّةٍ عَرْضُهَا السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ بیہِ تتھ جنتس کُن تمُیک پنہے چھو تیوت یوٗت سَتھ آسمان تہ ست زمین دُوگنہارہ نِشہ مژراوتِ اکھ اِکس سیت ملناوِتھ تھاوِت گژھہِ۔ یہِ گو پناہ تمُیک۔ زیچھرُک اندازہ چھُو خدایہِ سی معلُوم اُعِدَّتْ لِلْمُتَّقِيْنَ سوٗی جنت چھُو تیار کرنہ آمُت خدایس کھوژہ وَنین ہندِہ خیطرہ۔ تِم خدایہِ سندِس حُکمس تعمیل کرن۔ ممنوع چیزو نِشہ پتھہ روزن الَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ اول درجہ مُتقی گے تِمہَ لوگ یِم خرچ کرن خدایہِ سندہ خیطرہ فِي السَّرَّآءِ وَالضَّرَّآءِ

يُحِبُّ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۱۳۴﴾ وَالَّذِيْنَ اِذَا فَعَلُوْا فَاحِشَةً اَوْ ظَلَمُوْٓا
اَنْفُسَهُمْ ذَكَرُوا اللّٰهَ فَاسْتَغْفَرُوْا لِذُنُوْبِهِمْ ۠ وَمَنْ يَّغْفِرُ
الذُّنُوْبَ اِلَّا اللّٰهُ ۠ وَلَمْ يُصِرُّوْا عَلٰى مَا فَعَلُوْا وَهُمْ
يَعْلَمُوْنَ ﴿۱۳۵﴾ اُولٰٓئِكَ جَزَآؤُهُمْ مَّغْفِرَةٌ مِّنْ رَّبِّهِمْ وَ
جَنّٰتٌ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ؕ وَنِعْمَ اَجْرُ
الْعٰمِلِيْنَ ﴿۱۳۶﴾ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِكُمْ سُنَنٌ ۙ فَسِيْرُوْا فِي

---

پریتھ حالَس اندر۔ وُسعتس اندر تہٕ تنگی اندر تہٕ وَالْكٰظِمِيْنَ الْغَيْظَ بیہٕ تِم ژکھ ژاپوِن آسَن وَالْعَافِيْنَ عَنِ النَّاسِ بیہٕ تِم عفو کرہ وِن آسَن لوگن پیٹھ وَاللّٰهُ يُحِبُّ الْمُحْسِنِيْنَ الله تعالیٰ چھو یِتھین نیکو کارن ٹوٗٹھ تھاوان وَالَّذِيْنَ اِذَا فَعَلُوْا فَاحِشَةً بیہٕ گئے دوٚیمہٕ درجکِ مُتقی تِمے تِم کانہہ بچھہ کاماہ کرن اَوْ ظَلَمُوْٓا اَنْفُسَهُمْ یا کرن ظُلم پنہٕ نین پانن پیٹھ ذَكَرُوا اللّٰهَ تمہٕ ساتہٕ آسَن یاد کران خدایہٕ سِندس وعیدس تہٕ گنہکس سزاءس فَاسْتَغْفَرُوْا لِذُنُوْبِهِمْ پس آسن مغفرت ژھانڈان پنہٕ نین گُونہن ہندِ خیطرٕ ہ۔ تمہٕ طریقہ یُس معافی ہینہٕ خاطرہ مُقرر کرنہ آمُت چھہ۔ سُہ گو ہر گاہ گنہگارن بین پیٹھ زیادتی کرمژ چھہ لوکن ہُند حق ضایع کورمُت چھو تلہٕ گژھہِ حقدارن پُنن حق واتناوُن۔ یا تمن نشہ معافی حاصِل کرنِ۔ یتھہٕ گُنہس پنہٕ نِس پانس سیت تعلق آسہٕ تمہٕ سیت بیہٕ کانسہٕ ہُند حق ضائع سپد مُت آسہٕ نہ تتھہ منز گژھہہ خدایہ سی نِش معافی حاصلِ کرنَ وَمَنْ يَّغْفِرُ الذُّنُوْبَ اِلَّا اللّٰهُ کُس اکھاہ چھو مغفرت کرہ وُن سارنی گُنہن خدایَس ورای۔ وَلَمْ يُصِرُّوْا عَلٰى مَا فَعَلُوْا وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ بیہٕ آسَن نہ تِم لُوکھ تتھہِ بچھہ کامہِ پیٹھہ اصرار تہٕ ڈاڈ کران زانتھہِ کرتھ اُولٰٓئِكَ جَزَآؤُهُمْ مَّغْفِرَةٌ مِّنْ رَّبِّهِمْ تِمے لُوکھ گئے تِم یِمن ہنز مزورِ چھہ بوٚڈ مغفرت پنہٕ نِس خدایہٕ سِندہ طرفہ وَ جَنّٰتٌ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ بیہٕ تِم جنّت یِمو منزہ جُویہِ پکان آسَن خٰلِدِيْنَ فِيْهَا تِمنی جنتن اندر روزن تِم ہمیشہ وَنِعْمَ اَجْرُ الْعٰمِلِيْنَ کیاہ رُژ مزوریاہ چھہ یہِ رُژہ کامہِ کرہ وُنین ہندہ خیطرہ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِكُمْ سُنَنٌ

الْاَرْضِ فَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُكَذِّبِيْنَ ﴿۱۳۷﴾ هٰذَا
بَيَانٌ لِّلنَّاسِ وَهُدًى وَّمَوْعِظَةٌ لِّلْمُتَّقِيْنَ ﴿۱۳۸﴾ وَلَا تَهِنُوْا وَ
لَا تَحْزَنُوْا وَاَنْتُمُ الْاَعْلَوْنَ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ﴿۱۳۹﴾ اِنْ
يَّمْسَسْكُمْ قَرْحٌ فَقَدْ مَسَّ الْقَوْمَ قَرْحٌ مِّثْلُهٗ ؕ وَتِلْكَ
الْاَيَّامُ نُدَاوِلُهَا بَيْنَ النَّاسِ ۚ وَلِيَعْلَمَ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا
وَيَتَّخِذَ مِنْكُمْ شُهَدَآءَ ؕ وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ الظّٰلِمِيْنَ ﴿۱۴۰﴾ ۙ

---

پزپاٹھِ گُذر ییے توہہِ بُرونٹھہ واریاہ طریقک لُوک۔ یمن منز مسلمان تہٕ آسِ یمن منز کافرِ تہٕ آسِ۔ تمنِ سپُد پانہ وانِ اختلاف تہٕ مُقابلہ۔ لیکن انجام کار سپُد کافرن شکست تہٕ تباہی مسلمانن فتح و نُصرت۔ ہرگاہ تہہٕ تہندین ہلاکتہٕ کین آثارن تہٕ نِشانن ہُند مُلاحظہ کرُن یژھان چھوِ۔ فَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ پسَ پھیر توہہٕ روے زمینس فَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُكَذِّبِيْنَ پسِ وچھتو نافرمانن۔ پژھہ نہ کرہ وَنین ہُند انجام کیاہ چھو سپدمُت۔ هٰذَا بَيَانٌ لِّلنَّاسِ یہِ چھو واضح کلام لُوکن ہندِ خیطرہ۔ تمِ ہرگاہ اتھہ منز غور کرن۔ بڈ عبرت سپدیکھہ حاصلِ۔ وَهُدًى وَّمَوْعِظَةٌ لِّلْمُتَّقِيْنَ بیہِ چھو بوٗڈ ہدایت تہٕ نصیحت خاص خدائیس کھوژہ وَنین ہندِ خیطرہ وَلَا تَهِنُوْا وَلَا تَحْزَنُوْا بیہِ ہرگاہ تہہٕ ونکین یتھہ جنگِ اُحدس منز مغلوب تہٕ سپدِو کیاہ ہُش کتھاہ گییہِ۔ امہِ سیت مہ سپدِو تہہٕ سُست بیہِ مہ کھیٚوِ امیک غم وَاَنْتُمُ الْاَعْلَوْنَ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ تُہی سپدِو غالِب ہرگاہ تہہٕ پوختہ باایمان تہٕ پژھہِ والِ آسوِ۔ تتھہ پیٹھہ ثابت قدم رُوزِو۔ اِنْ يَّمْسَسْكُمْ قَرْحٌ ہرگاہ اَز یتھہ جنگِ اُحدس اندر ووٗت توہہِ تکلیف کیاہ ہُش کتھہ چھہ فَقَدْ مَسَّ الْقَوْمَ قَرْحٌ مِّثْلُهٗ پسَ بتحقیق ووٗت اَتھہ قومَس یعنی تمَن کافرن یتھوی تکلیف جنگِ بدرسَ منز وَتِلْكَ الْاَيَّامُ نُدَاوِلُهَا بَيْنَ النَّاسِ اسِ چھہِ تمِ زندگی ہندِ ایام لُوکن اَندر وارہ وارِہ بدلاوان۔ اکہ دوہہٕ عیش و آرام بیہِ دوہہٕ غم تہٕ تکلیف وَلِيَعْلَمَ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بیہِ ووٗت توہہِ یہ تکلیف یتھہ نزراوِہ اللہ تعالیٰ باایمانن۔ وَيَتَّخِذَ مِنْكُمْ شُهَدَآءَ بیہِ یتھہ واتناوہ توہہِ اَندرہ بعضین شہادتہٕ کس

وَلِيُمَحِّصَ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَيَمْحَقَ الْكٰفِرِيْنَ ﴿١٤١﴾ اَمْ
حَسِبْتُمْ اَنْ تَدْخُلُوا الْجَنَّةَ وَلَمَّا يَعْلَمِ اللّٰهُ الَّذِيْنَ جٰهَدُوْا
مِنْكُمْ وَيَعْلَمَ الصّٰبِرِيْنَ ﴿١٤٢﴾ وَلَقَدْ كُنْتُمْ تَمَنَّوْنَ الْمَوْتَ مِنْ
قَبْلِ اَنْ تَلْقَوْهُ ۠ فَقَدْ رَاَيْتُمُوْهُ وَاَنْتُمْ تَنْظُرُوْنَ ﴿١٤٣﴾ ع وَمَا
مُحَمَّدٌ اِلَّا رَسُوْلٌ ۚ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِ الرُّسُلُ ؕ اَفَاۡىِٕنْ

---

مرتبس یعنی توہہِ اندرہ بعضین کرہ شہادُ تک درجہِ عطائُس تھود مرتبہ چھُو۔ وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ الظّٰلِمِيْنَ اللہ تعالیٰ چھُو نہ پسند کران ظالمن یعنی کافرِن تہ مُشرِکن۔ یعنے تمنٛی غلبہ دِتُن امہِ مُوکھہ نہ کہ تمِ کیاہ چھِس ٹاٹھہ بلکہ آسہ اتھہ اندر تہنٛدی خیطرہ واریاہ مصلحژ وَلِيُمَحِّصَ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا اَمچی بیاکھہ مصلحت آس یُتھہ اللہ تعالیٰ صاف وپاک کرِہا باایمانن امہِ تکلیفہ سیت گنٛھن ہنٛدو آلائیشوٕنشہِ وَيَمْحَقَ الْكٰفِرِيْنَ بیہِ یُتھہ گالِہا تمن کافرِن۔ یعنی تمنِ دِتُن موٗقعہ ظلم وستم کرہ نک یُس ظلم وستمِ تہندہ تباہی ہُند باعِث بنیوٗ۔ اَمْ حَسِبْتُمْ اَنْ تَدْخُلُوا الْجَنَّةَ کیاہ توہہِ چھاخیال تہٕ کیاہ واتو جنتس آزمائیشو تہ اِمتحانو ورای۔ وَلَمَّا يَعْلَمِ اللّٰهُ الَّذِيْنَ جٰهَدُوْا مِنْكُمْ وَيَعْلَمَ الصّٰبِرِيْنَ وِنہ آسہِ نہ نینوٗمُت کہ جہاد کموٗکور توہہِ اندرہ تہ تکلیفس پیٹھہ صبر کرہ ون کم چھہ توہہ اندرہ وَلَقَدْ كُنْتُمْ تَمَنَّوْنَ الْمَوْتَ مِنْ قَبْلِ اَنْ تَلْقَوْهُ پزِ پاٹھہِ آسوِ تہہ مُوتکُ تمنا کران سوٕ وچھنہ برونٹھ یعنی خدایہ سنزہِ وتہِ اندر آسوِ تہہ مرُن یژھان۔ فَقَدْ رَاَيْتُمُوْهُ وَاَنْتُمْ تَنْظُرُوْنَ پس بتحقیق وچھوٕن توہہِ سوٕ اچھو سیت۔ وون کیازِہ چھوہ بانبران۔ یلہ جنگ احدس منز کافرو غلبہ لوب تمن تیر اندازن ہندہِ جایہِ ڈلنہ سیت یم گوٗہ درس اندر نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلّم حفاظتہ خیطرہ مُقرر کورمُت آسِ۔ فرموومُت اوسُکھ اگر تہٕ وچھوِ سہِ دُشمن تِکہِ تِکہِ ماز ژٹان توتہِ ڈلزِہ نہ تہٕ پننہِ جایہِ۔ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلّمن آے دویہِ شیتھہ زخم۔ دَندانِ مُبارک سپدِ شہید یعنی اکھہ کھنڈ آیہ وسِتھہ اکس دندس یمہِ سیت خون جاری سپُد۔ بیہِ آیہِ کریکھہ دِنہ تہندہ شہادتچ یمہِ سیت بعضے صحابہ صینٛ ہندِ حوصلہ پست سپدِ تمی وقتہ کور نازِل اللہ تعالیٰ اَن وَمَا

مَّاتَ اَوْ قُتِلَ انْقَلَبْتُمْ عَلٰٓى اَعْقَابِكُمْ ؕ وَمَنْ يَّنْقَلِبْ عَلٰى
عَقِبَيْهِ فَلَنْ يَّضُرَّ اللّٰهَ شَيْـًٔا ؕ وَسَيَجْزِى اللّٰهُ الشّٰكِرِيْنَ ﴿۱۴۴﴾
وَمَا كَانَ لِنَفْسٍ اَنْ تَمُوْتَ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ كِتٰبًا مُّؤَجَّلًا ؕ وَ
مَنْ يُّرِدْ ثَوَابَ الدُّنْيَا نُؤْتِهٖ مِنْهَا ۚ وَمَنْ يُّرِدْ ثَوَابَ
الْاٰخِرَةِ نُؤْتِهٖ مِنْهَا ؕ وَسَنَجْزِى الشّٰكِرِيْنَ ﴿۱۴۵﴾ وَكَاَيِّنْ
مِّنْ نَّبِيٍّ قٰتَلَ ۙ مَعَهٗ رِبِّيُّوْنَ كَثِيْرٌ ۚ فَمَا وَهَنُوْا

---

مُحَمَّدٌ اِلَّا رَسُوْلٌ ڇُهونه حضرتِ محمد صلى الله عليه وسلم مگر پيغمبر اهِ. قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِ الرُّسُلُ گُمَت ڇهِ تمنِ بروٺهه وارياه پيغمبر اَفَاِئنْ مَّاتَ کياه هرگاه تمِ پانے تمهِ عالمهِ گيمتِ آسَن اَوْ قُتِلَ يا دُشمن هندهِ اتهه شهيد سپدِ متِ آسَن انْقَلَبْتُمْ عَلٰٓى اَعْقَابِكُمْ کياه تهه ڦيروه پُوت تمهِ مُوکهه تراوِوه تُهه جهاد کرُن. يا ڈلوِه تُهه اَمهِ دينِ اِسلامهِ نِشهِ کُفرس کُن وَمَنْ يَّنْقَلِبْ عَلٰى عَقِبَيْهِ يُس اکهاه ڦيرِه پُوت اَده ڦيرِ تَن فَلَنْ يَّضُرَّ اللّٰهَ شَيْـًٔا پس کانهه ضرر ته نقصاناه هيکهِ نه واتناوِتهه الله تعالىٰ اَس بلکه ڇُهوس تميک ضرر ته نقصان پانِ پانسَ وَسَيَجْزِى اللّٰهُ الشّٰكِرِيْنَ الله تعالىٰ دِيه جلدى رِٹ مزُور شُکرگزارنَ وَمَا كَانَ لِنَفْسٍ اَنْ تَمُوْتَ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ بيهِ تھاوِوياد کانهه اکهاه هيکهِ نه مرُتهه خدايِه سندِه حُکمه ورای كِتٰبًا مُّؤَجَّلًا پرِيتهه اکسُند مرُن ڇهو ليکهنه آمُت، وقت مقرر کرنه آمُت. ٹلنه سيت نه هيکهِ سُو وقت پتهه نيرِ تهه. ثابت قدم روزنه سيت هيکهِ نه بروٺهه ڀتهه. وَمَنْ يُّرِدْ ثَوَابَ الدُّنْيَا نُؤْتِهٖ مِنْهَا وونِ يُس اکهاه عمل کرِتهه دنياکُوى ثواب ته مزُورِ يژهان ڇهو تَس ڇهِ کران اسِ تمهِ منزه کينهه عطا وَمَنْ يُّرِدْ ثَوَابَ الْاٰخِرَةِ نُؤْتِهٖ مِنْهَا بيهِ يُس اکهاه آخرتکُ ثواب ته مزُورِ يژهان ڇُهو تَس تهِ ڇهِ اسِ تمى منزه عطا کران. وَسَنَجْزِى الشّٰكِرِيْنَ بيهِ گرَواسِ جلدى رِٹ مزورِ عطا شُکرگذارن.
وَكَاَيِّنْ مِّنْ نَّبِيٍّ قٰتَلَ مَعَهٗ رِبِّيُّوْنَ كَثِيْرٌ بيهِ کَئِتياه پيغمبر يمن سيت سيت جهاد آسِ کران. وارياه لُوکهه خدايِه سنديور تيوبندَواندره کافرن سيت. فَمَا وَهَنُوْا لِمَآ اَصَابَهُمْ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ پس

لِمَآ اَصَابَهُمْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ وَمَا ضَعُفُوْا وَمَا اسْتَكَانُوْا ؕ
وَاللّٰهُ يُحِبُّ الصّٰبِرِيْنَ ﴿۱۴۶﴾ وَمَا كَانَ قَوْلَهُمْ اِلَّآ اَنْ
قَالُوْا رَبَّنَا اغْفِرْ لَنَا ذُنُوْبَنَا وَاِسْرَافَنَا فِيْٓ اَمْرِنَا
وَثَبِّتْ اَقْدَامَنَا وَانْصُرْنَا عَلَى الْقَوْمِ الْكٰفِرِيْنَ ﴿۱۴۷﴾
فَاٰتٰىهُمُ اللّٰهُ ثَوَابَ الدُّنْيَا وَحُسْنَ ثَوَابِ الْاٰخِرَةِ ؕ
وَاللّٰهُ يُحِبُّ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۱۴۸﴾ ع يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِنْ
تُطِيْعُوا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا يَرُدُّوْكُمْ عَلٰٓى اَعْقَابِكُمْ فَتَنْقَلِبُوْا

---

آسن نه تمِ خدايهِ سندِ بنده سُست سپدان خدايهِ سنزهِ وتهِ جنگس اندر تكليف واتنه سيت وَمَا ضَعُفُوْا وَمَا اسْتَكَانُوْا نه آسِ تمِ همت هاران۔ نه آسِ تمِ دُشمنس بُرونٹھ كنهِ هتھيار تراوان ته آن مانان بلكهِ آسِ خوب مضبُوطى سِيت تكليفن پيٹھ صبر كران۔ وَاللّٰهُ يُحِبُّ الصّٰبِرِيْنَ الله تعالىٰ چھُو صبر و اِستقلال كره وِنين سيٹھاه پسند كران۔ تهُوند چھُو محبت تھاوان وَمَا كَانَ قَوْلَهُمْ آسِ نه تمِ تكليف واتنهِ وقته كينهه ونان اِلَّآ اَنْ قَالُوْا مگر آسِ خدايهِ سي منگان رَبَّنَا اغْفِرْ لَنَا ذُنُوْبَنَا اے سانه پروردگاره مغفرت كرته گُنهن سانين۔ وَاِسْرَافَنَا فِيْٓ اَمْرِنَا بيهِ هرگاه سانهِ طرفه كينهه زيادتى ته گُوتاهى لبنه آيهِ سانهِ كامه اندر وَثَبِّتْ اَقْدَامَنَا مضبُوط تھاو قدم سانِ وَانْصُرْنَا عَلَى الْقَوْمِ الْكٰفِرِيْنَ غلبه دِه اَسهِ كافرن پيٹھ صبر واستقلالكهِ بركته بيهِ دعاء والتجاء كه بركته فَاٰتٰىهُمُ اللّٰهُ ثَوَابَ الدُّنْيَا پس عطاكور الله تعالىٰ ان تمن دُنيهك ثواب يعنى غلبه ته مالِ غنيمت وَحُسْنَ ثَوَابِ الْاٰخِرَةِ بيهِ آخرتك رُت ثواب ته رژ مزُور وَاللّٰهُ يُحِبُّ الْمُحْسِنِيْنَ الله تعالىٰ اَس چھِ سيٹھاه ٹاٹھه امهِ قسمك نيكوكار بنده يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اے باايمانو اِنْ تُطِيْعُوا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا اگر تهه مانوِ كافرن هنزه كتھه يَرُدُّوْكُمْ عَلٰٓى اَعْقَابِكُمْ تم پھِرن توهه پُوت كُفرس كُن فَتَنْقَلِبُوْا خٰسِرِيْنَ پس بنوِ

خٰسِرِيۡنَ ﴿۱۴۹﴾ بَلِ اللّٰهُ مَوۡلٰٮكُمۡ‌ۚ وَهُوَ خَيۡرُ النّٰصِرِيۡنَ ﴿۱۵۰﴾
سَنُلۡقِىۡ فِىۡ قُلُوۡبِ الَّذِيۡنَ كَفَرُوا الرُّعۡبَ بِمَاۤ اَشۡرَكُوۡا
بِاللّٰهِ مَا لَمۡ يُنَزِّلۡ بِهٖ سُلۡطٰنًا‌ ۚ وَمَاۡوٰٮهُمُ النَّارُ‌ ؕ وَ
بِئۡسَ مَثۡوَى الظّٰلِمِيۡنَ ﴿۱۵۱﴾ وَلَقَدۡ صَدَقَكُمُ اللّٰهُ وَعۡدَهٗۤ
اِذۡ تَحُسُّوۡنَهُمۡ بِاِذۡنِهٖ‌ ۚ حَتّٰۤى اِذَا فَشِلۡتُمۡ وَتَنَازَعۡتُمۡ
فِى الۡاَمۡرِ وَعَصَيۡتُمۡ مِّنۡۢ بَعۡدِ مَاۤ اَرٰٮكُمۡ مَّا تُحِبُّوۡنَ‌ ؕ

---

تِہٕ تاوان زَد دُنیاو آخرتَس اندر۔ بیہِ سپدِہ توہہ پرِیتھہ قِسمہ ناکامی۔ کافرِ بنِنہ زانہہ تہٕ تہُندِ دُوست بَلِ اللّٰهُ مَوۡلٰٮكُمۡ بلکہ چھُو اللہ تعالیٰ تہُند مولیٰ تہٕ آقا۔ مددگار تہٕ دوست وَهُوَ خَيۡرُ النّٰصِرِيۡنَ سُۄی چھُو توہہِ سارِنی ہندِہ خوتہٕ بہتریاری کرہٕ وُن سَنُلۡقِىۡ فِىۡ قُلُوۡبِ الَّذِيۡنَ كَفَرُوا الرُّعۡبَ جلدی تراوَو اَسِ کافرِن ہندین دِلن منز ہیبت تہٕ رُعب بِمَاۤ اَشۡرَكُوۡا بِاللّٰهِ مَا لَمۡ يُنَزِّلۡ بِهٖ سُلۡطٰنًا کیازِ تِمو کیاہ ٹھہراوِکِنس خدایَس تِے چیز شریک یِمن ہندِہ قابلِ شریک آسنہ خیطرہٕ نہ تِمِ کانہہ دلیلاہ نازِل کر وَمَاۡوٰٮهُمُ النَّارُ تِمن کافرِن تہٕ مُشرِکن ہنز جای چھہ نار جہنّم وَ بِئۡسَ مَثۡوَى الظّٰلِمِيۡنَ سُۄ چھہ سیٹھاہِ تِچھہ جایِ یِمن ظالمن تہٕ مُشرکن ہندِہ خیطرہٕ یِم خدایَس ورای بین تہٕ معبُود زانان چھہِ وَلَقَدۡ صَدَقَكُمُ اللّٰهُ وَعۡدَهٗۤ بتحقیق پُوٗرٕ کُور اللہ تعالیٰ اَن وعدہٕ پَنُن توہہِ سیت اِذۡ تَحُسُّوۡنَهُمۡ بِاِذۡنِهٖ یلہِ تُہہ تِمِ کتراوان آسِو کھہ، ماران آسِو کھہ تہُندِ حُکمہ تو تان یوٗتان تِہہ مضبُوط آسِو حَتّٰۤى اِذَا فَشِلۡتُمۡ اَدہ یلہ تُہہ پانہ سُست سپدِیوہ وَتَنَازَعۡتُمۡ فِى الۡاَمۡرِ بیہِ کورِوہ اِختلاف نبی کریمہ سِندِس حُکمس اندر وَعَصَيۡتُمۡ مِّنۡۢ بَعۡدِ مَاۤ اَرٰٮكُمۡ مَّا تُحِبُّوۡنَ تہُندِہ حُکمک پابند رُودِونہ تُہہ۔ حالانکہِ تِمِ (خداین) اُوس توہہِ ہوومُت سُۄ چیز یُس توہہِ پسند اُوس غلبہ تہٕ فتح۔ وَوَنِ آس ضرورت بیہ کیھنہ کالا صبر کرنچ۔ مگر توہہ کورِوہ نہ مِنۡكُمۡ مَّنۡ يُّرِيۡدُ الدُّنۡيَا توہہِ اندرہ آسِ بعضی یِم دنیا ژھانڈان آسِ وَمِنۡكُمۡ

مِنْكُمْ مَّنْ يُّرِيْدُ الدُّنْيَا وَمِنْكُمْ مَّنْ يُّرِيْدُ الْاٰخِرَةَ ۚ ثُمَّ صَرَفَكُمْ عَنْهُمْ لِيَبْتَلِيَكُمْ ۚ وَلَقَدْ عَفَا عَنْكُمْ ۗ وَاللّٰهُ ذُوْ فَضْلٍ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿١٥٢﴾ اِذْ تُصْعِدُوْنَ وَلَا تَلْوٗنَ عَلٰٓى اَحَدٍ وَّالرَّسُوْلُ يَدْعُوْكُمْ فِيْٓ اُخْرٰىكُمْ فَاَثَابَكُمْ غَمًّۢا بِغَمٍّ لِّكَيْلَا تَحْزَنُوْا عَلٰى مَا فَاتَكُمْ وَلَا مَآ اَصَابَكُمْ ۗ وَاللّٰهُ خَبِيْرٌۢ بِمَا تَعْمَلُوْنَ ﴿١٥٣﴾

---

مَّنْ يُّرِيْدُ الْاٰخِرَةَ بيا آس بعضي تہ آخرت ڳولِنڌڙ آس اِ اِهي سڀ سِپڌ توهہ منز اِختلاف تہ وجهہ تہٕ نبی کریمہ صلی اللہ علیہ وسلم سندِس حُکمس پیٹھ رُودوہ نہ ثُمَّ صَرَفَكُمْ عَنْهُمْ لِيَبْتَلِيَكُمْ تہٕ پتہ پھرِنوو تہٕ اللہ تعالیٰ اَن تمن کافرن نِشہِ تہٕ آسوہ غالب توپتہ سپدوہ مغلوب۔ توهہ سزادِنہ خیطرہ نہ بلکہ توهہ آزمایش کرنہ خیطرہ کہ توهہ اندرہ کم چھہ مُنافق کم چھہ باایمان۔ وَلَقَدْ عَفَا عَنْكُمْ یقین زانو کہ اللہ تعالیٰ اَن کور توهہ عفو۔ توهہ سپدہ نہ آخر تس اندر تہِ امیک کانہہ باز خواست وَاللّٰهُ ذُوْ فَضْلٍ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ اللہ تعالیٰ چھُ فضلہ وٲل باایمانن ہندہ حقہ۔ تاِاینکہ امہ نافرمانی سبب کرِنوہ نہ تہٕ ساری ہلاک اِذْ تُصْعِدُوْنَ وَلَا تَلْوٗنَ عَلٰٓى اَحَدٍ تہٕ پادِوپٕن حال ڈِیتس جرم تہند کوتاہ سخت اُس یلہِ تہٕ کوہس کھسان کھسان ڈلان آسوہ تہ پتھ کُن آسوہ نہ کانسہِ کُن نظر تہِ دِوان وَّالرَّسُوْلُ يَدْعُوْكُمْ فِيْٓ اُخْرٰىكُمْ حالانکہِ یہِ بوڈ پیغمبر اوس توهہ پتہ پتہ نادنادِ دِوان اَی خدایہِ سندیو بندو ڈلو مہ واپس پھیرِ ومہِ کُن بو چھُوس پیغمبر خدا مگر توہ بوزوی نہ کیہنہ۔ فَاَثَابَكُمْ پس واتنووہ توهہ خداین غَمًّۢا بِغَمٍّ غمس پیٹھ غم۔ لِّكَيْلَا تَحْزَنُوْا عَلٰى مَا فَاتَكُمْ وَلَا مَآ اَصَابَكُمْ یُتھنہ تہٕ مالِ غنیمت اتھہ گژھنک تہ جسمانی تکلیف واتنک غم کھیٔو۔ کیازِہ بڈہِ غمہ سیت چھُ لوکُٹ غم مشتھہِ گژھان۔ بڈزہ غم گیٔ صحابہ صین ہُند شہید سپدُن بیہِ نبی کریمہ سندہ شہادژ خبر بُوزنِ۔ وَاللّٰهُ خَبِيْرٌۢ بِمَا تَعْمَلُوْنَ اللہ تعالیٰ اَس چھہ خبرَ تمہِ سارِچی یہِ تہٕ کران چھوہ ثُمَّ اَنْزَلَ عَلَيْكُمْ مِّنْۢ بَعْدِ الْغَمِّ اَمَنَةً توپتہ سوز اللہ تعالیٰ اَن توهہ پیٹھ

ثُمَّ أَنزَلَ عَلَيْكُم مِّنۢ بَعْدِ الْغَمِّ أَمَنَةً نُّعَاسًا يَغْشَىٰ طَائِفَةً
مِّنكُمْ ۖ وَطَائِفَةٌ قَدْ أَهَمَّتْهُمْ أَنفُسُهُمْ يَظُنُّونَ بِاللَّهِ غَيْرَ الْحَقِّ
ظَنَّ الْجَاهِلِيَّةِ ۖ يَقُولُونَ هَل لَّنَا مِنَ الْأَمْرِ مِن شَيْءٍ ۗ قُلْ إِنَّ
الْأَمْرَ كُلَّهُ لِلَّهِ ۗ يُخْفُونَ فِي أَنفُسِهِم مَّا لَا يُبْدُونَ لَكَ ۖ يَقُولُونَ
لَوْ كَانَ لَنَا مِنَ الْأَمْرِ شَيْءٌ مَّا قُتِلْنَا هَاهُنَا ۗ قُل لَّوْ كُنتُمْ فِي بُيُوتِكُمْ
لَبَرَزَ الَّذِينَ كُتِبَ عَلَيْهِمُ الْقَتْلُ إِلَىٰ مَضَاجِعِهِمْ ۖ وَلِيَبْتَلِيَ

---

اَی مسلمانو امہِ غمہ پتہ آرام و قرار **نُعَاسًا** نِندراہ **يَغْشَىٰ طَائِفَةً مِّنكُمْ** یوسہ وَلنہ آیہِ توہہِ اندر
اکس جماعتس۔ یعنی باایمانن۔ تمہِ سیتِ رُودِنہ تمن غمے ژِتس **وَطَائِفَةٌ قَدْ أَهَمَّتْهُمْ أَنفُسُهُمْ** بیاکھ
جماعت تمن آس پے مژپننہ پانژِ فکر کہ اَسِ کتھہ پاٹھہ مو کلویتہ یعنی مُنافق **يَظُنُّونَ بِاللَّهِ غَيْرَ الْحَقِّ ظَنَّ
الْجَاهِلِيَّةِ** تمِ آسِ خدایس نسبت لپزِ خیالات تھاوان جاہلیتکِ تہ حماقتکِ خیالات **يَقُولُونَ هَل لَّنَا
مِنَ الْأَمْرِ مِن شَيْءٍ** ونان آسِ تمِ اسہِ چھا اختیار کُنہِ چیزک۔ یعنی سوٚن چھا بوزان تمِ۔ سانہِ مشورے
تمِ پکھن یوت پیٹھہ ماواتہ ہانوبت۔ نتہ گو معنی تمِ آس ونان۔ بنیو وہ اَسہ، حاصل سپدہ اَسہِ سوٚ چیز تمیوک
وعدہ اسہِ تھاونہ اوس یوان۔ یعنی فتح تہ غلبہ۔ یہ آسِ مُنافق ونان۔ مسلمانن ڈالنہ۔ گمراہ کرنہ تہ بدظن
کرنہ خیطرہ **قُلْ** تُہہ فرماوکھ یارسول اللہ **إِنَّ الْأَمْرَ كُلَّهُ لِلَّهِ** پزپاٹھہ سارُکوی اختیار چھو کُنسِ خدایس۔
یہ سوٚیژھہِ تی بِنہ **يُخْفُونَ فِي أَنفُسِهِم** کھٹت چھہِ تھاوان پانس نِشہ **مَّا لَا يُبْدُونَ لَكَ** تمہِ تمہ کتھہ
تمہ نہ نَنہ اوان چھہِ توہہِ نِش **يَقُولُونَ لَوْ كَانَ لَنَا مِنَ الْأَمْرِ شَيْءٌ** ونان چھہِ تمِ مُنافق ہر گاہ اَسہِ تانِ
کیہنہ آسہ ہا یعنی سانہِ مشورہ موجبُ عمل کرنہ آسہا آمژ یا ہر گاہ سوٚن دین پوز آسہا **مَّا قُتِلْنَا هَاهُنَا** تیلہِ
تمہوَنہ اسِ مارنہ یتھہ میدان اُحدس اندر۔ اَسے دپیووہ جنگ کرونہ **قُل لَّوْ كُنتُمْ فِي بُيُوتِكُمْ** فرماویوٚکھ
تُہہ یارسول اللہ ہرگاہ ہے تُہہ آسہو گرن پنہ نین اَندرتہِ **لَبَرَزَ الَّذِينَ كُتِبَ عَلَيْهِمُ الْقَتْلُ إِلَىٰ مَضَاجِعِهِمْ**
البتہ ضرور نیرہ ہَن تمِ لُوکھ تمن یتہِ میدانِ اُحدس اندر مرن لیکھنہ اُوس آمُت۔ پنہ نین مرچن جاین

اللّٰهُ مَا فِیْ صُدُوْرِكُمْ وَلِیُمَحِّصَ مَا فِیْ قُلُوْبِكُمْ ؕ وَاللّٰهُ عَلِیْمٌۢ
بِذَاتِ الصُّدُوْرِ ﴿۱۵۴﴾ اِنَّ الَّذِیْنَ تَوَلَّوْا مِنْكُمْ یَوْمَ الْتَقَی الْجَمْعٰنِ ۙ
اِنَّمَا اسْتَزَلَّهُمُ الشَّیْطٰنُ بِبَعْضِ مَا كَسَبُوْا ۚ وَلَقَدْ عَفَا اللّٰهُ
عَنْهُمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ حَلِیْمٌ ﴿۱۵۵﴾ یٰۤاَیُّهَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا لَا تَكُوْنُوْا
كَالَّذِیْنَ كَفَرُوْا وَقَالُوْا لِاِخْوَانِهِمْ اِذَا ضَرَبُوْا فِی الْاَرْضِ
اَوْ كَانُوْا غُزًّی لَّوْ كَانُوْا عِنْدَنَا مَا مَاتُوْا وَمَا قُتِلُوْا ۚ لِیَجْعَلَ

---

کُن وَلِیَبْتَلِیَ اللّٰهُ بیہِ یہِ کنیژھاہ سپُدتہِ سپُد یُتھہ اللہ تعالیٰ آزمائش کرِہا مَا فِیْ صُدُوْرِكُمْ تتھہ یہِ تہندین سینین منز تہِ دِلن منز چھُو یعنی ایمان وَلِیُمَحِّصَ مَا فِیْ قُلُوْبِكُمْ بیہِ یُتھہ وارہ صاف نر اوِہ ہاتہِ یہِ تہندین دِلن اندر چھُو وَاللّٰهُ عَلِیْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ اگرچہ اللہ تعالیٰ اُس چھُو پانس پُور علم سارِنی ہندین دِلن ہُند۔ مگر یتھین مُوقعن پیٹھہ چھُو سوٗ آزمایش تہِ امتحان کران یُتھہ لُوکن تہِ پتاہ لگہِ کم چھہِ باایمان تہِ کم چھہِ مُنافق اِنَّ الَّذِیْنَ تَوَلَّوْا مِنْكُمْ پرٛزناوِ تمِ لُوکھ یمِ توہہِ اندر ژلِ یَوْمَ الْتَقَی الْجَمْعٰنِ تمہِ دُوہ یمہِ دوہہ زہ جماژ مسلمانن ہنز جماتھ تہ کافرن ہنز جماتھ اکھ اکس مُقابل رُود جنگ اُحدس اندر اِنَّمَا اسْتَزَلَّهُمُ الشَّیْطٰنُ تمِ ڈالِ نہ کانسہِ مگر ڈالِ شیطانن بِبَعْضِ مَا كَسَبُوْا تہنزو بعضی کامیو سیت یمہِ تمو کرِہ یعنی کوہ دَرہ منزہ نیرنہ سیت سوٗ جای خالی تراونہ سیت۔ وَلَقَدْ عَفَا اللّٰهُ عَنْهُمْ پرٛزناوِ اللہ تعالیٰ ان کور تمن عفو اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ حَلِیْمٌ پرٛزناوِ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرن وُن ژیڈ کرن وُن۔ گُنہگارن چھُو نہ فور اُرٹان یٰۤاَیُّهَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا لَا تَكُوْنُوْا كَالَّذِیْنَ كَفَرُوْا ای باایمانو مہ بنِو تہہ کافِرن ہِیِ۔ یعنی مُنافقن ہِی۔ تمِ اگرچہ وَنان چھہِ پانس مسلمان مگر در حقیقت چھہِ تمِ کافر۔ تہہ مہ کرو تمہِ قسمچہ کتھہ یمہِ تمِ کران چھہِ وَقَالُوْا لِاِخْوَانِهِمْ تمِ چھہِ پننیٚن بایَن ہندِ حقہ وَنان اِذَا ضَرَبُوْا فِی الْاَرْضِ اَوْ كَانُوْا غُزًّی یلہِ تمِ سفرس چھہِ نیران کُنہ شہرس کُن یا یلہِ جہاد کرنہ چھہِ نیران تو پتہ چھہِ سفرس اندر مران یا چھہِ جہادس اندر شہید سپدان لَّوْ كَانُوْا عِنْدَنَا مَا مَاتُوْا وَمَا قُتِلُوْا ہرگاہ ہے تمِ آسہن اسِ نِشہِ پننس شہرس اندر سفرس یا جہادس آسہِنہ نہ در امتِ تلہِ مامرہ ہن نہ یہن مارنہ۔ ای باایمانو تہہ مہ

اللّٰهُ ذٰلِكَ حَسْرَةً فِىْ قُلُوْبِهِمْ ؕ وَاللّٰهُ يُحْىٖ وَيُمِيْتُ ؕ وَ
اللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ ﴿۱۵۶﴾ وَلَئِنْ قُتِلْتُمْ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ
اَوْ مُتُّمْ لَمَغْفِرَةٌ مِّنَ اللّٰهِ وَرَحْمَةٌ خَيْرٌ مِّمَّا يَجْمَعُوْنَ ﴿۱۵۷﴾
وَلَئِنْ مُّتُّمْ اَوْ قُتِلْتُمْ لَاِلَى اللّٰهِ تُحْشَرُوْنَ ﴿۱۵۸﴾ فَبِمَا رَحْمَةٍ مِّنَ
اللّٰهِ لِنْتَ لَهُمْ ۚ وَلَوْ كُنْتَ فَظًّا غَلِيْظَ الْقَلْبِ لَانْفَضُّوْا مِنْ
حَوْلِكَ ۠ فَاعْفُ عَنْهُمْ وَاسْتَغْفِرْ لَهُمْ وَشَاوِرْهُمْ فِى الْاَمْرِ ۚ

---

آسوامہ قسمجہ کتھہ ونان لِيَجْعَلَ اللّٰهُ ذٰلِكَ حَسْرَةً فِىْ قُلُوْبِهِمْ یتھہ اللہ تعالیٰ کرہ یمہ کتھہ تہنزہ تہندین دِلن اندر بوڈ حسرت تہ افسوس۔ وَاللّٰهُ يُحْىٖ وَيُمِيْتُ اللہ تعالیٰ ہی چھو زندہ تھاوان تہ ماران۔ سفر آستن یا حضر۔ جنگ آستن یا امن موت وحیات چھو تسندِ سی اِختیارس اندر وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ اللہ تعالیٰ چھو تتھہ سارسی یہ تُہہ کران چھوِہ وارہ ڈ چھان۔ سوٗدیہ توہہ تِچ مرٗ ورِ۔ وَلَئِنْ قُتِلْتُمْ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ اَوْ مُتُّمْ بیہ ہرگاہ توہہ خدایہ سنزِہ وتہِ اندر یعنی جہاد کران کران مارنہ ییِو یا مرِو تہ کیاہ پرواہ چھو۔ لَمَغْفِرَةٌ مِّنَ اللّٰهِ وَرَحْمَةٌ خَيْرٌ مِّمَّا يَجْمَعُوْنَ خدایہ سُند مغفرت تہ تہنز رحمت چھہ تہندہ خیطرہ سیٹھاہ بہتر تمہ ساری خو تہ یہ تمِ لوکھ سونبراوان یا وٹان چھہِ وَلَئِنْ مُّتُّمْ اَوْ قُتِلْتُمْ لَاِلَى اللّٰهِ تُحْشَرُوْنَ بیہ ہرگاہ تُہہ مرِ ویا مارنہ ییِو جہادس اندر، ضرور چھو توہہ سُمن تہ جمع سپدُن معبودِ برحقس نِشہ بیہ نہ کانسہِ نِشہ۔ فَبِمَا رَحْمَةٍ مِّنَ اللّٰهِ لِنْتَ لَهُمْ پس خدایہ سِندی رحمتہ سیت سپدِ وہ توہہ یا رسوٗل اللہ تہندِہ حقہ نرم تہ حلیم یمن لوکن ہندہ خیطرہ یمو تہنز مخالفت کر۔ توہہ اوس حق تمن سختی سیت باز خواست کرنک وَلَوْ كُنْتَ فَظًّا غَلِيْظَ الْقَلْبِ لَانْفَضُّوْا مِنْ حَوْلِكَ اگر تُہہ آسہِو خدانخواستہ ژٕکھلِ۔ دِلہ درِ۔ تُند خو ضرور ژلہ ہَن تم تیلہِ توہہ نِشہ۔ محروم سپدِ ہَن تم تہند یو فیض و برکاتو نِشہ۔ فَاعْفُ عَنْهُمْ وَاسْتَغْفِرْ لَهُمْ پس کروِ تُہہ تہ تمن معاف بیہ منگو تہندِہ خیطرہ خدائس مغفرت وَشَاوِرْهُمْ فِى الْاَمْرِ بیہ آسوِ تمن سیت یتھین معاملن پیٹھہ مشورہ کران۔ تمہِ سیت سپدَن تہند

فَإِذَا عَزَمْتَ فَتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ ۚ إِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُتَوَكِّلِينَ ﴿۱۵۹﴾ إِنْ يَنْصُرْكُمُ اللّٰهُ فَلَا غَالِبَ لَكُمْ ۖ وَإِنْ يَخْذُلْكُمْ فَمَنْ ذَا الَّذِي يَنْصُرُكُمْ مِنْ بَعْدِهِ ۗ وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُونَ ﴿۱۶۰﴾ وَمَا كَانَ لِنَبِيٍّ أَنْ يَغُلَّ ۚ وَمَنْ يَغْلُلْ يَأْتِ بِمَا غَلَّ يَوْمَ الْقِيَامَةِ ۚ ثُمَّ تُوَفَّىٰ كُلُّ نَفْسٍ مَا كَسَبَتْ وَهُمْ لَا يُظْلَمُونَ ﴿۱۶۱﴾ أَفَمَنِ اتَّبَعَ رِضْوَانَ اللّٰهِ كَمَنْ بَاءَ بِسَخَطٍ مِنَ اللّٰهِ وَمَأْوَاهُ جَهَنَّمُ ۚ وَ

---

حوصلہ بلند فَإِذَا عَزَمْتَ پس یلہ تہٕ کُنہِ معاملس اندر مشورہ کرتھ کُنہ رایہ پیٹھ پُوختہ ارادہ آسو کران فَتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ پس آسوِ پُورہ اعتماد کران خدایس پیٹھ توپتہ سُہ کام کران إِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُتَوَكِّلِينَ پئز پاٹھہ اللہ تعالیٰ اُس چھہِ ٹاٹھہ تَس پیٹھہ اِعتماد کرہ وِن بندہ إِنْ يَنْصُرْكُمُ اللّٰهُ اگر اللہ تعالیٰ توہہِ مدد تہ یاری کرہ فَلَا غَالِبَ لَكُمْ تیلہِ ہیکہِ نہ کانہہ اکھاہ توہہِ پیٹھہ غالب سپدِتھ وَإِنْ يَخْذُلْكُمْ ہرگاہ سُہ توہہِ مدد کرہ نہ فَمَنْ ذَا الَّذِي يَنْصُرُكُمْ مِنْ بَعْدِهِ پس گُوہ اکھاہ چھُوئس توہہِ تَس پتہ یاری ہیکہِ کرتھ وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُونَ پس خدایہ سئی پیٹھہ بیہ نہ کانسہِ اکس پیٹھہ کرن اِعتماد باایمان جنگ بدر کہِ مالِ غنیمتہ اندرہ یلہ رَاوَ اکھہ سرُخ ژادراہ۔ لُوکو دُوپ یہِ ژادر آسہِ تھومژ تلُتھہ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلّم پننہِ خاص استعمالہ خیطرہ۔ اللہ تعالیٰ ان سوٗزیہِ آیہ کریمہ۔ وَمَا كَانَ لِنَبِيٍّ أَنْ يَغُلَّ چھُونہ ہرگز سزاوار کانسہ پیغمبرس سوٗکیاہ کرہ خیانت مالِ غنیمتس اندر وَمَنْ يَغْلُلْ يَأْتِ بِمَا غَلَّ يَوْمَ الْقِيَامَةِ یُس اکھاہ مال غنیمتس اندر خیانت کرِتھ کانہہ چیز تھاوِہ تُلِتھہ خاص پننہِ خیطرہ۔ سُہ یِیہ قیامتک دوہ سُہ چیز ہیتھہ پیش کرنہ ثُمَّ تُوَفَّىٰ كُلُّ نَفْسٍ مَا كَسَبَتْ توپتہ یِیہ پرِیتھہ اَکس پُورہ بدلہ دِنہ تمُوک یہِ تمِ کورمُت آسہِ وَهُمْ لَا يُظْلَمُونَ تمن یِیہ نہ کُنہِ قسمہ ظُلم کرنہ أَفَمَنِ اتَّبَعَ رِضْوَانَ اللّٰهِ آیا یُس اکھاہ پیروی کرہ خدایہ سنزِہ رضامندی۔ مال غنیمتس اندر کرہ نہ کُنہ قسمہ خیانت۔ یعنی تِی کرہ یتھہ خدا راضی آسہِ كَمَنْ بَاءَ بِسَخَطٍ مِنَ اللّٰهِ سُو چھا برابر تَس شخصَس ہیُوہ یَس واپس گژھہِ خدایہ سنز بیزاری ہیتھہ۔ نافرمانی تہ

بِئْسَ الْمَصِيْرُ ﴿۱۶۲﴾ هُمْ دَرَجٰتٌ عِنْدَ اللّٰهِ ؕ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِمَا يَعْمَلُوْنَ ﴿۱۶۳﴾ لَقَدْ مَنَّ اللّٰهُ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ اِذْ بَعَثَ فِيْهِمْ رَسُوْلًا مِّنْ اَنْفُسِهِمْ يَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِهٖ وَيُزَكِّيْهِمْ وَيُعَلِّمُهُمُ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ ۚ وَاِنْ كَانُوْا مِنْ قَبْلُ لَفِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿۱۶۴﴾ اَوَلَمَّآ اَصَابَتْكُمْ مُّصِيْبَةٌ قَدْ اَصَبْتُمْ مِّثْلَيْهَا ۙ قُلْتُمْ اَنّٰى هٰذَا ؕ قُلْ

---

خيانت ڪرڻ سبب. هرگز ڇڻِه يم ڙه برابر بلڪه ڇُهو فرمانبردارس تہ امانتدارس خدا راضي. نافرمانس تہ خيانت ڪره وِنس پيڻه ڇُهو خدا بيزار. وَمَاْوٰىهُ جَهَنَّمُ بيہ ڇھ تسنزِ جاے نارِ جہنّم وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ ڪاژاهِ تيڇه جاي ڇه سوٗنار جہنّم هُمْ دَرَجٰتٌ عِنْدَ اللّٰهِ تمِ لوڪه ڇهِ مختلف درجاتن پيڻه امانت داري ڇهو ٿهود دَرجه پنه نِس خدا ايس نشہ جنّتن اندر. خيانت ڪره وِن ڇهِ جہنمي وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِمَا يَعْمَلُوْنَ بيہِ ڇُهو الله تعالیٰ تهنزه سارے ڪامہِ پانہ ڈ ڇهان. ڪهُہ ڇُهو امانتدار ڪهُہ ڇُهو خيانت ڪره ڈن. يُس مالِ عام مسلمانن هُند آسہِ ياگنہ انجمنک ياگنہِ مدرسک آسہِ تتهہ منز خيانت ڪرنس تہِ ڇُهو يوٗہے سزا يُس مالِ غنيمتس خيانت ڪره وِن سنده خيطره آوٗ بيان ڪرنه لَقَدْ مَنَّ اللّٰهُ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ پزپاڻهِ الله تعالیٰ اَن ٿهاوٗ بڈ منّت بايمانن پيڻه. اِذْ بَعَثَ فِيْهِمْ رَسُوْلًا مِّنْ اَنْفُسِهِمْ ڪيا زِه سوٗزن تمِ منز پيغمبراه جليل القدر تہ عظيم الشان تموي منزه يَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِهٖ يُس پيغمبر تمنِ خدايه سند آيات پران ڇُهو. وَيُزَكِّيْهِمْ بيہِ يُس پيغمبر تمنِ جاهلانہ خيالو نشہِ پاڪ ڪران ڇُهو وَيُعَلِّمُهُمُ الْكِتٰبَ بيہِ ڇُهوڪهہ ہيڇهناوان قرآنِ مجيد وَالْحِكْمَةَ بيہِ عقلہِ هنزه ڪتهہ وَاِنْ كَانُوْا مِنْ قَبْلُ لَفِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ پزپاڻهِ آسِ تمِ تهندِه تشريف انْنه بروٗنٹهہ ننہِ گمراهي اندر اَوَلَمَّآ اَصَابَتْكُمْ مُّصِيْبَةٌ ڪياه يلهِ ڈوت توهہِ جنگِ اُحدس منز اکهہ تڪليفاه تہ مصيبتاه قَدْ اَصَبْتُمْ مِّثْلَيْهَا حالانڪه توهہ واتنووه تمنِ دُشمن تمہِ دُوگنہ جنگِ بدرس منز. ستتهہ ڪرو کهہ قتل. ستتهہ ڪرو کهہ قيد تموِ منزه قُلْتُمْ اَنّٰى هٰذَا دپنہِ لگوه تُهہ تعجب ڪِن يہِ مصيبت ڪيا زِه سنا وڈت اَسہِ يعني ڪتهہ پاڻهِ وڈت اَسہِ اَسہِ گوژهہ نہ واتُن اَڪيسِ مسلمان آسِ. اَسہِ سيتے پيغمبر خدا صلی الله عليه وسلم اُوس.

هُوَ مِنْ عِنْدِ اَنْفُسِكُمْ ۭ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰي كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۱۶۵﴾ وَمَآ اَصَابَكُمْ يَوْمَ الْتَقَى الْجَمْعٰنِ فَبِاِذْنِ اللّٰهِ وَلِيَعْلَمَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۱۶۶﴾ وَلِيَعْلَمَ الَّذِيْنَ نَافَقُوْا ښ وَقِيْلَ لَھُمْ تَعَالَوْا قَاتِلُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ اَوِ ادْفَعُوْا ۭ قَالُوْا لَوْ نَعْلَمُ قِتَالًا لَّااتَّبَعْنٰكُمْ ۭ ھُمْ لِلْكُفْرِ يَوْمَىِٕذٍ اَقْرَبُ مِنْھُمْ لِلْاِيْمَانِ ۚ يَقُوْلُوْنَ بِاَفْوَاهِھِمْ

---

قُلْ هُوَ مِنْ عِنْدِ اَنْفُسِكُمْ تِہٕ فرماوِیُوکھ یارسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم یہِ مُصیبت ؤوت توہہِ پنہٕ نی طرفہٕ۔ کیازِ تُہہ نے مُخالفت کٔرِ ہومیانِس حُکمس یہ حالت سپدِ ہانہ توہہِ۔ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰي كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو پرِیتھ چیزس پیٹھ قُدرتہٕ ؤول۔ یاری کرنس پیٹھ تہٕ۔ چنانچہ کرنوہ توہہ نئن یاری بدٔرس منز۔ یاری نہ کرنس پیٹھ تہِ یلہِ توہہِ پانہ غلطی کروِہ کوہ دٔرہ خالی تراونہ سیت جنگ اُحدس منز۔ وَمَآ اَصَابَكُمْ يَوْمَ الْتَقَى الْجَمْعٰنِ بیہ یُس تکلیفاہ تہٕ مُصیبتاہ ؤوت توہہِ تمہِ دوہہ یمہِ دوہہ جماژاکھ اکھس سیت میچہِ جنگِ اُحدس اندر فَبِاِذْنِ اللّٰهِ پس ووت سۆ مُصیبت توہہِ حُکمِ خدا یتھ منزواریاہ حکمژ آسہٕ۔ تموِ حکمتو اندرہ گیہ اکھ حکمت وَلِيَعْلَمَ الْمُؤْمِنِيْنَ بیہ یُتھ معلوم سپدِ ہابااِیمان کم چھہِ۔ وَلِيَعْلَمَ الَّذِيْنَ نَافَقُوْا بیہ یُتھ معلوم سپدِ ہا منافق کم چھہِ کیازہ مصیبتہ وقتہ چھو ننان۔ مُخلص کم چھہِ غیر مُخلص کم چھہ۔ وَقِيْلَ لَھُمْ وننہ آیوِ تمنِ مُنافقن یلہِ تمِ ژِل میدانِ جنگ تراوِتھ تمِ گے عبداللہ بن اُبے بیہ تہنز جماعت تمِ ترِہ (۳۰۰) ہتھ لُوک آسِ تَعَالَوْا آیو واپس قَاتِلُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ جہاد کٔرو خدایہ سنزِ ہوتہِ اندر۔ اَوِ ادْفَعُوْا تہِ نَے توتہِ کریوکھ دُشمن پانس نِشہِ دفع قَالُوْا لَوْ نَعْلَمُ قِتَالًا لَّااتَّبَعْنٰكُمْ دپنہِ لگ تمِ ہرگاہ اَسِ زانہ ہو جنگ کرُن تلہِ روز ہو توہی سیت ھُمْ لِلْكُفْرِ يَوْمَىِٕذٍ اَقْرَبُ مِنْھُمْ لِلْاِيْمَانِ تمِ منافق آسِ تمہِ دُوہہ نیُرژ نزدیک کُفرس ایمانہ خوتہ يَقُوْلُوْنَ بِاَفْوَاهِھِمْ مَّا لَيْسَ فِيْ قُلُوْبِهِمْ وننان چھہِ تمِ تی پنہٕ نیو چانٹیو سیت یہ نہ تہندین دِلن منز چھُو یعنی دِل چھُو کھ اکھ تہٕ زیو چھکھ بیاکھ وَاللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا يَكْتُمُوْنَ اللہ تعالیٰ چھُو تہٕ پورزانان تہِ سورُی یہِ تمِ کھٹِتھ تھاوان چھہِ

مَّا لَيْسَ فِي قُلُوبِهِمْ ۗ وَاللَّهُ أَعْلَمُ بِمَا يَكْتُمُونَ ﴿١٦٧﴾ الَّذِينَ قَالُوا لِإِخْوَانِهِمْ وَقَعَدُوا لَوْ أَطَاعُونَا مَا قُتِلُوا ۗ قُلْ فَادْرَءُوا عَنْ أَنفُسِكُمُ الْمَوْتَ إِن كُنتُمْ صَادِقِينَ ﴿١٦٨﴾ وَلَا تَحْسَبَنَّ الَّذِينَ قُتِلُوا فِي سَبِيلِ اللَّهِ أَمْوَاتًا ۚ بَلْ أَحْيَاءٌ عِندَ رَبِّهِمْ يُرْزَقُونَ ﴿١٦٩﴾ فَرِحِينَ بِمَا آتَاهُمُ اللَّهُ مِن فَضْلِهِ وَيَسْتَبْشِرُونَ بِالَّذِينَ لَمْ يَلْحَقُوا بِهِم مِّنْ خَلْفِهِمْ أَلَّا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُونَ ﴿١٧٠﴾

---

الَّذِينَ قَالُوا لِإِخْوَانِهِمْ تمِ گئے ناتۍ یمَو دُوپ پنہ نین ہم نسب باین ہندِ حقہ یمِ جنگِ اُحدس منز شہید سپدِ وَقَعَدُوا حالانکہ پانہ رُودِ بہتھ گرن اندر لَوْ أَطَاعُونَا مَا قُتِلُوا ہر گاہ تمِ سوُن مانہ ہَن مارہ گژھہ ہَن نہ۔ اَسہِ دپُوک مہ نیر و جنگس۔ گرہ بہتھے کیاہ چھہ تمَن کتھ پھوران قُلْ فرماو یوکھہ تُہہ یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم فَادْرَءُوا عَنْ أَنفُسِكُمُ الْمَوْتَ إِن كُنتُمْ صَادِقِينَ تلا دُور ہیکتو کرتھہ تُہہ پنہ نیو پانو نشہِ مرُن۔ ہر گاہ تُہہ پُوز وَنہ ونِ چھوہ وَلَا تَحْسَبَنَّ الَّذِينَ قُتِلُوا فِي سَبِيلِ اللَّهِ بیہ مہ کرژہ ہرگز گمُانہ اَے بوزونہ تمن لُوکن مُتعلق یمِ شہید سپدِ خدایہ سنزِہ وتہِ اندر أَمْوَاتًا تمِ کیاہ چھہ مُردہ بَلْ أَحْيَاءٌ عِندَ رَبِّهِمْ يُرْزَقُونَ بلکہِ چھہِ تمِ زندے پنہ نس پروردگارس نِش۔ تمنِ چھو تمہ عالمک رِزق تہِ یوِان عطا کرنہ یُس تتھہ عالمس منز شوبہ۔ فَرِحِينَ بِمَا آتَاهُمُ اللَّهُ مِن فَضْلِهِ خوش چھہِ تمِ تمو مہرُ بانیو سیت یمہِ تمنِ عطا کرہِ مژہ چھہ اللہ تعالیٰ اَن پنہِ فضلہ سیت وَيَسْتَبْشِرُونَ بِالَّذِينَ بیہ چھہِ تمِ خوش تہ مُسرور سپدان تمنِ لوگن ہندِہ رتہِ حالہ سیت لَمْ يَلْحَقُوا بِهِم مِّنْ خَلْفِهِمْ یم نہ وِنہ تمنِ نِشہ وات۔ یہ بوُزنہ سیت کہ أَلَّا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُونَ تمنِ کیا چھونہ کانہہ خوفاہ تہ کانہہ غماہ۔ تمِ چھہِ امن و امانس اندر زِندگی بسر کران يَسْتَبْشِرُونَ بِنِعْمَةٍ مِّنَ اللَّهِ وَفَضْلٍ خوش چھہِ گژھان پروردگارہ سندِہ نعمتہ سیت تہ تہندِہ فضلہ سیت وَأَنَّ اللَّهَ لَا يُضِيعُ أَجْرَ الْمُؤْمِنِينَ بیہ یمہِ کتھہ سیت کہ اللہ تعالیٰ چھونہ ضائع کران باایمانَن ہنزن عملن ہنز مزورِ۔ جنگِ اُحدہ پتہ یلہ کافر واپس گژھان آسِ تمِ

يَسْتَبْشِرُوْنَ بِنِعْمَةٍ مِّنَ اللّٰهِ وَفَضْلٍ ۙ وَّاَنَّ اللّٰهَ لَا يُضِيْعُ اَجْرَ
الْمُؤْمِنِيْنَ ۚ ﴿۱۷۱﴾ اَلَّذِيْنَ اسْتَجَابُوْا لِلّٰهِ وَالرَّسُوْلِ مِنْۢ بَعْدِ مَآ
اَصَابَهُمُ الْقَرْحُ ۛ لِلَّذِيْنَ اَحْسَنُوْا مِنْهُمْ وَاتَّقَوْا اَجْرٌ عَظِيْمٌ ۚ ﴿۱۷۲﴾
اَلَّذِيْنَ قَالَ لَهُمُ النَّاسُ اِنَّ النَّاسَ قَدْ جَمَعُوْا لَكُمْ فَاخْشَوْهُمْ
فَزَادَهُمْ اِيْمَانًا ۖ وَّقَالُوْا حَسْبُنَا اللّٰهُ وَنِعْمَ الْوَكِيْلُ ﴿۱۷۳﴾

---

لگ پانہٕ وان دٕپنہٕ کہ اسہِ کر بڑ غلطی۔ سوٗن گوٚژھہ مسلمانن پیٹھ پوٗرہ حملہ کرُن۔ کیازِہ اسِ سپز ای تمنِ پیٹھ غالب۔ لہٰذا اچھو بہتر اَسِ گژھویتہِ پیٹھ بیہِ واپس۔ بیہِ کرو تمنِ سیت جنگ تو پتہ کروکھ تمِ اکی ساتہ ختم۔ مگر اللہ تعالیٰ اَن تروو تہندین وِلن اندر رُعب۔ تمو ہیوک نہ اَمہِ جایہِ پیٹھ بیہِ واپس گژھتھ۔ اَمِچ خبر واژ نبی کریم صلی اللہ علیہ و سلّمن بذریعہ وحی۔ تمو سوٗز صحابہ صین ہنز اکھ لشکراہ تمن کافرن تعاقُب تہ لار کرنہ خیطرہ۔ اَتھ اَندر سمُکھ تمن کافرن اکھِ قافلہ یُس تجارتہ خیطرہ مدینہ شریفس گُن گژھان اوس۔ تمنِ دوپُکھ تہندِ وَنزِہ مسلمانن کہ مکہ لُوکھ چھِ توہہِ سیت بیہِ جنگ کرنچ تیاری کران۔ مسلمانولہِ یہِ خبر بوٗز تمو دُوپ کانہہ پرواچھونہ۔ اَسہِ چھو بَس اللہ تعالیٰ۔ آیندہ آیاتِ کریمن منز چھو اللہ تعالیٰ اَمی واقعکُ تذکرہ کران۔ اکثر مُفسر چھِ فرماوان کہ یہِ چھُ غزوۂ حمراء الاسدُک واقعہ۔ یہِ چھو اکہ جایہِ ہندناو یُس مدینہ شریفہ پیٹھ آٹھ مِیل دُور چھہ اَلَّذِيْنَ اسْتَجَابُوْا لِلّٰهِ وَالرَّسُوْلِ تمِ باایمان یمو حُکم موٗن خدایہِ سُند بیہِ پیغمبر خدایہِ سُند یعنی درای کافرن تعاقُب تہ لار کرنہ خیطرہ مِنْۢ بَعْدِ مَآ اَصَابَهُمُ الْقَرْحُ جنگ اُحدس منز تکلیف تہ زخم واتنہ پتہ لِلَّذِيْنَ اَحْسَنُوْا مِنْهُمْ وَاتَّقَوْا اَجْرٌ عَظِيْمٌ تہندِہ خیطرہ یمو نیکی کر حُکم ماننہ سیت۔ بیہِ رُودِ پتھ نافرمانی نِشہِ چھہ بڈ مزُور سوٗ گو جنت۔ اَلَّذِيْنَ قَالَ لَهُمُ النَّاسُ یمن بعضی لوکو وَنیوو اِنَّ النَّاسَ قَدْ جَمَعُوْا لَكُمْ پرزپاٹ دُشمن چھِ سپد ان جمع یا چھِ تمِ سامانِ حرب جمع کران توہہِ سیت بیہِ جنگ کرنہ خیطرہ فَاخْشَوْهُمْ پس کھوژِو تمنِ۔ تمنِ سیت مُقابلہ کرنہ نِشہ رُوزِو پتھ فَزَادَهُمْ اِيْمَانًا یہ بوزنہ سیت ہریوو تہندِہ ایمانکُ جُوش وَّقَالُوْا حَسْبُنَا اللّٰهُ وَنِعْمَ

فَانْقَلَبُوْا بِنِعْمَةٍ مِّنَ اللّٰهِ وَفَضْلٍ لَّمْ يَمْسَسْهُمْ سُوْٓءٌ ۙ وَّاتَّبَعُوْا رِضْوَانَ اللّٰهِ ۭ وَاللّٰهُ ذُوْ فَضْلٍ عَظِيْمٍ ﴿١٧٤﴾ اِنَّمَا ذٰلِكُمُ الشَّيْطٰنُ يُخَوِّفُ اَوْلِيَاۗءَهٗ ۠ فَلَا تَخَافُوْھُمْ وَخَافُوْنِ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ﴿١٧٥﴾ وَلَا يَحْزُنْكَ الَّذِيْنَ يُسَارِعُوْنَ فِي الْكُفْرِ ۚ اِنَّھُمْ لَنْ يَّضُرُّوا اللّٰهَ شَـيْـــًٔا ۭ

الْوَكِيْلُ بيهِ ڏُيک کا نه پرواهُ ڇھُونه اسهِ. بس ڇهو اَسهِ الله تعالیٰ بيهِ ڇهُو سؤي رُت وکيل. اَس ڇهِ ڀنهِ سارے کامه تس پُڅر اوان. حضرت عبدالله بن عباس رضی الله عنه ڇهِ فرماوان يهِ حسبنا الله ونعم الوكيل ڇهُو سوٗ کلمه يُس حضرت ابراهيمن پُر. نارس منز تراوِنهِ وقتهِ الله تعالیٰ اَن کو رُکھه کفايت. يُس کلمه پُر حضرتِ نبی کريمن صلی الله عليه وسلم ته تهنديو صحُابه صيبو جنگ اُحدس منز الله تعالیٰ اَن کور تمنِ ته کفايت. چنانچه الله تعالیٰ ڇهو فرماوان فَانْقَلَبُوْا بِنِعْمَةٍ مِّنَ اللّٰهِ وَفَضْلٍ لَّمْ يَمْسَسْهُمْ سُوْٓءٌ پس گے نبی کريم صلی الله عليه وسلم ته تهندِ صحابه صيب خدايهِ سنز بڈ نعمت ته بوٗڈ فضل هيتهه. ڈوت نه تمنِ کانه تکليفاه ته کانه سختياه. وَّاتَّبَعُوْا رِضْوَانَ اللّٰهِ پته پته پک تم خدايهِ سنزه رضامندی وَاللّٰهُ ذُوْ فَضْلٍ عَظِيْمٍ الله تعالیٰ ڇهو بوٗڈ فضله ووٗل. جنگ اُحده پته يلهِ کافرِ ژلِ ابو سفيان لگ دپنه وون ڇهو توهِ ته اسهِ بياکهه مُقابله بدر صغریٰ کس موقعس پيٹھه. حضرتِ نبی کريمن صلی الله عليه وسلم وَنه ناوٗس اده کياه مظوٗر ڇهوٗ اسهِ. سوٗ دوه يلهِ سپد نبی کريم صلی الله عليه وسلم درای صحابه صيب هيتهه تتهه جايهِ. مگر ابو سفيانس دَرے يهِ نه کوٹھه. اگرچهِ تموٗ اوٗس اکهه شخصاه سوٗزمت يُس مسلمانن هندين دِلن اندر خوف و هيبت تراوان اُوس. مگر تهندين دِلن اندر سپُد نه تموٗک کانه اثر بلکه سپُد تهوند ايمان تمهِ سيت بيهِ هن زياده مضبوط. تمِ سپدِ لڑايه خيطرِه بالکُل تيار تمه ڇي تعريف ڇهُو الله تعالیٰ فرماوان. بيهِ ڇهوکهه الله تعالیٰ حوصله بڑاوان. فرماوان ڇهُوکهه اِنَّمَا ذٰلِكُمُ الشَّيْطٰنُ يُخَوِّفُ اَوْلِيَاۗءَهٗ يهِ خبر دِنه ووٗل ڇهُونه مگر شيطان يُس کھوژه ناوان ڇهُوه توهِ پنه نين هم مذهب دُوستن هندهِ سيت يعنی کافرن هندهِ سيت ای ميانيو دوستو باايمانو فَلَا تَخَافُوْھُمْ تُهِه مه کھوژِو تمنِ کُنه وقته وَخَافُوْنِ تُهندُ گرِڈهِ کھوژن مے بوٗت اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ڇهِوے تُهه باايمان ته پڑهِ والِ وَلَا يَحْزُنْكَ الَّذِيْنَ يُسَارِعُوْنَ فِي الْكُفْرِ توهِ مه هرکرن غمگين

يُرِيدُ اللَّهُ أَلَّا يَجْعَلَ لَهُمْ حَظًّا فِي الْآخِرَةِ ۖ وَلَهُمْ عَذَابٌ عَظِيمٌ ﴿١٧٦﴾
إِنَّ الَّذِينَ اشْتَرَوُا الْكُفْرَ بِالْإِيمَانِ لَنْ يَضُرُّوا اللَّهَ شَيْئًا ۖ وَلَهُمْ
عَذَابٌ أَلِيمٌ ﴿١٧٧﴾ وَلَا يَحْسَبَنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا أَنَّمَا نُمْلِي لَهُمْ خَيْرٌ
لِأَنْفُسِهِمْ ۚ إِنَّمَا نُمْلِي لَهُمْ لِيَزْدَادُوا إِثْمًا ۚ وَلَهُمْ عَذَابٌ مُهِينٌ ﴿١٧٨﴾
مَا كَانَ اللَّهُ لِيَذَرَ الْمُؤْمِنِينَ عَلَىٰ مَا أَنْتُمْ عَلَيْهِ حَتَّىٰ يَمِيزَ

---

تم لوکھ تم کفر س کن جلدی چھہ کران یعنی منافق۔ یانِ تم ژھہان چھہ مسلمانن ہند پوٚتر لوٚت گژھان۔ اَتی چھہ تم کفر س کن واپس پھیران تہ کفرچہ کتھہ وننہ ہیوان إِنَّهُمْ لَنْ يَضُرُّوا اللَّهَ شَيْئًا پرٚ پاٹھ تم ہیکن نہ ہر گز کانہہ نقصان واتناوِتھ اکس ذرس برابر تہ خدایس یعنی خدایہ سندس دینس۔ بلکہ چھہ واتناوان نقصان پننہ نسی پانس يُرِيدُ اللَّهُ أَلَّا يَجْعَلَ لَهُمْ حَظًّا فِي الْآخِرَةِ اللہ تعالیٰ چھو یژھان تمن دِیہ نہ آخرتس اندر کانہہ حصاہ یعنی تمن کرِ آخرتکہ کیو نعمتو تہ مہربانیو نشہ محروم وَلَهُمْ عَذَابٌ عَظِيمٌ بیہ چھو تہندِ خیطرٕ بوڈ عذاب نارِ جہنمس اندر إِنَّ الَّذِينَ اشْتَرَوُا الْكُفْرَ بِالْإِيمَانِ پرٚ پاٹھ تمو مُلِ ہیوت کفر ایمانس یعنی ایمانہ بدل کو رکھ اختیار کفر لَنْ يَضُرُّوا اللَّهَ شَيْئًا تم تہ ہیکن نہ ہر گز کانہہ نقصان واتناوِتھ خدایہ سندس دِینس کُنہِ قسمہ وَلَهُمْ عَذَابٌ أَلِيمٌ تہ مہ کھیٖو تمن ہند کانہہ غم کیازِ تہندی خیطرٕ چھو دگ تلہ ڈن عذاب وَلَا يَحْسَبَنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا أَنَّمَا نُمْلِي لَهُمْ خَيْرٌ لِأَنْفُسِهِمْ بیہ مہ کرن گمان کافرِ اسِ یؤسہ مہلت دِوان چھہ تمن سو کیاہ چھہ رتہ جان تہندِ خیطرٕ إِنَّمَا نُمْلِي لَهُمْ لِيَزْدَادُوا إِثْمًا اس چھہ تمن مہلت دِوان مگر یتھ تم گنٛہن منز زیادتی کرن۔ یعنی یتھ تہندین گنٛہن ہنز ناو بر نہ اِیہ۔ پتو لاکہ یٖیکھ یکہ وٹہ سزا دِنہ۔ دنیاءس منز نے تمن عذاب بیہ کرنہ وَلَهُمْ عَذَابٌ مُهِينٌ بہر حال چھو تہندی خیطرٕ آخرتس منز کڈر عذاب مَا كَانَ اللَّهُ لِيَذَرَ الْمُؤْمِنِينَ عَلَىٰ مَا أَنْتُمْ عَلَيْهِ اللہ تعالیٰ چھو نہ یژھان سو کیاہ تراوِ توٚہہ بایمانن تتھ حالس پیٹھ یتھ حالس پیٹھ تہٕ وٚنکینس چھِوٕ یعنی امتیازہ ورای بلکہ چھو سو یژھان بایمانن تہ بے ایمانن منز فرق کرنِ۔ تتھ کن نظر کرِتھ چھو سو سختی تہ تکلیف نازِل

الْخَبِيثَ مِنَ الطَّيِّبِ ۗ وَمَا كَانَ اللَّهُ لِيُطْلِعَكُمْ عَلَى الْغَيْبِ وَ
لَٰكِنَّ اللَّهَ يَجْتَبِي مِن رُّسُلِهِ مَن يَشَاءُ ۖ فَآمِنُوا بِاللَّهِ وَرُسُلِهِ ۚ
وَإِن تُؤْمِنُوا وَتَتَّقُوا فَلَكُمْ أَجْرٌ عَظِيمٌ ﴿١٧٩﴾ وَلَا يَحْسَبَنَّ
الَّذِينَ يَبْخَلُونَ بِمَا آتَاهُمُ اللَّهُ مِن فَضْلِهِ هُوَ خَيْرًا
لَّهُم ۖ بَلْ هُوَ شَرٌّ لَّهُمْ ۖ سَيُطَوَّقُونَ مَا بَخِلُوا بِهِ يَوْمَ الْقِيَامَةِ ۗ وَ

---

کران حَتَّىٰ يَمِيزَ الْخَبِيثَ مِنَ الطَّيِّبِ تهه الله تعالیٰ ناپاکن پاکو نِشه یعنی کافرِن ته منافقن بایمانو نِشه الگ کره۔ تهِ چهُو نان آزمایشو سیت بایمان چهه آزمایش پیٹھه صبر کران۔ منافق چهنه تاب کران۔ تمِ چهه ایمانه نِشه دست بردار سپدان وَمَا كَانَ اللَّهُ لِيُطْلِعَكُمْ عَلَى الْغَيْبِ بیهِ چهُونه الله تعالیٰ سُند شان سوٗ کیاه کره توهه خبر پوشیده معاملن هنز یعنی توهه کیاه باوه سوٗ۔ کُهه چهُو بایمان ته کُهه چهُو مُنافق۔ نه ته بَنِه نه۔ وَلَٰكِنَّ اللَّهَ يَجْتَبِي مِن رُّسُلِهِ مَن يَشَاءُ بلکهِ چهُو سوٗ برگزیده کران۔ پنه نیو پیغمبرو اندره یس یژهان چهُو تس چهُو پوشیده حالات باوان فَآمِنُوا بِاللَّهِ وَرُسُلِهِ پس کُرُو یژهه کُنِس خدایس بیهِ تهندین سارنی پیغمبرن وَإِن تُؤْمِنُوا وَتَتَّقُوا فَلَكُمْ أَجْرٌ عَظِيمٌ هرگاه تهه کفر و شرک تراوِتهه ایمان انوِ، کفر و نافرمانی نِشه پتهه روزِو تلهِ چهه تُهندِه خیطره بڈمزورِ آخر تس اندر وَلَا يَحْسَبَنَّ الَّذِينَ يَبْخَلُونَ بِمَا آتَاهُمُ اللَّهُ مِن فَضْلِهِ هُوَ خَيْرًا لَّهُم بیهِ مه کُرِن گمان تمِ لُوکهه یم بخل چههِ کران سوٗ مال خرچ کرنس اندر یُس تمن الله تعالیٰ نے عطا کرِنپنهِ فضله سیت۔ سوٗ بخل کرُن کیاه چهُو تهندِه خیطره جان۔ هرگزِ نه بَلْ هُوَ شَرٌّ لَّهُمْ بلکه چهُو سوٗ بخل کرُن تهندِه خیطره سیٹھاه تچهه کیازه سَيُطَوَّقُونَ مَا بَخِلُوا بِهِ يَوْمَ الْقِيَامَةِ جلدی بیهِ نالِ تراونه تمنِ سوٗ مال سون ته روپهه) تیج زکوٰة ته صدقه دنس اندر تمِ بخل کران آسِ قیامتک دوه۔ تهه مالس بیهِ سرفاه ته اژدها بناوت بخیله سنزِه گردنه منز نالِ تراونه۔ یُس تس ٹوپه آسهِ دوان ته ژپ آسهِ هیوان پرازه آسهِ ژٹان۔ سُوی اژدها آسیس دپان أنا مالك أنا كنزك بو چهُو سے نه وپر بُو چهُوس مال چُون۔ بُو چهُوس خزانه چون یمهِ پیٹھه نه ژه خدایه سندِ حقوق اوسُکھ ادا کران۔

وَلِلّٰهِ مِيْرَاثُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ ﴿۱۸۰﴾ لَقَدْ سَمِعَ اللّٰهُ قَوْلَ الَّذِيْنَ قَالُوْٓا اِنَّ اللّٰهَ فَقِيْرٌ وَّنَحْنُ اَغْنِيَاۗءُ ۘ سَنَكْتُبُ مَا قَالُوْا وَقَتْلَھُمُ الْاَنْۢبِيَاۗءَ بِغَيْرِ حَقٍّ ۙ وَّنَقُوْلُ ذُوْقُوْا عَذَابَ الْحَرِيْقِ ﴿۱۸۱﴾ ذٰلِكَ بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْكُمْ وَاَنَّ اللّٰهَ لَيْسَ بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِيْدِ ﴿۱۸۲﴾ اَلَّذِيْنَ قَالُوْٓا اِنَّ اللّٰهَ عَهِدَ اِلَيْنَآ اَلَّا نُؤْمِنَ لِرَسُوْلٍ حَتّٰى يَاْتِيَنَا

---

بُخل کرڻ ڇُو سيٺاڻ پڇھ کيازہ ساري يلهِ مَرن سوڙي واتہِ خدايہ سی نُش **وَلِلّٰهِ مِيْرَاثُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ** خدايہِ سِنڌی سيِڌہ خود بخود سوڙی۔ حقيقتہ پاڻهِ آسمان وزمينن ہُند مالِک اُوسِ تہِ سوُی تہ سپِڌہ تہ سوُی۔ لهذا بے سِنڌس مالس اندر بُخل کرڻ کاڙاہ حماقت ڇھ۔ يہ شخص نے بُخل کرہا خدايہ سُند مال خدايہِ سنزِ وتہِ اندر خرچ کرنہ سيت زِينہِ ہا منزيہ اکھ بوڈ فائدہ۔ **وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ** بيہِ ڇھوالله تعالیٰ تہِ سوڙی زانان يہِ تہٕ کران ڇھوِ۔ لهذا يہ خرچ کران آسوِ تہِ آسو بخلوصِ دِل خرچ کران۔ محض خدايہ سِنڌہ رضا خيطرہ **لَقَدْ سَمِعَ اللّٰهُ قَوْلَ الَّذِيْنَ قَالُوْٓا اِنَّ اللّٰهَ فَقِيْرٌ** بتحقيق الله تعالیٰ اَن بوُزہ پانہ تمن لُوگن ہنزہ کتھ يمِ وَنان آسِ الله تعالیٰ ڇھُو (نعوذ بالله) مُحتاج۔ تمی ڇھو لوکن قرض منگان **وَّنَحْنُ اَغْنِيَاۗءُ** اَسِ ڇھِ مالدار۔ بوزنس پيٹھے ڇھنہ اِکتفا کران **سَنَكْتُبُ مَا قَالُوْا** بلکہ ڇھِ اسِ ليکھتھ تھاوان تهنزہ يمہِ سارے کتھ تهندين نامہ اعمالن منز **وَقَتْلَھُمُ الْاَنْۢبِيَاۗءَ بِغَيْرِ حَقٍّ** بيہ ڇھ اسِ ليکھان تهنزہ کامہِ تہ کرتوت۔ يم گئيہ نا اولاد تمن لُوکن ہند يمو پيغمبر ڇھِ ناحق مارمت يم يلہِ جهنمس منز تراونہ يِن **وَّنَقُوْلُ ذُوْقُوْا عَذَابَ الْحَرِيْقِ** اسِ ونوکھ ڙھوِ مزّہ دزنہِ عذابک۔ **ذٰلِكَ بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْكُمْ وَاَنَّ اللّٰهَ لَيْسَ بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِيْدِ** يہ عذاب ڇھُو تمِی کامين ہندہ بدلہ يمہ کامہِ پنہ نيوا تھو کرہِ مژہ ڇھوِ۔ الله تعالیٰ کتہ ڇھُو بندن نسبت ظُلم کرہ ڈن کُنہِ طريقہ جرُمہ وراى کياہ دِیهک سزا **اَلَّذِيْنَ قَالُوْٓا اِنَّ اللّٰهَ عَهِدَ اِلَيْنَآ اَلَّا نُؤْمِنَ لِرَسُوْلٍ** يم يہُود گے تمے لُوک يمو اپز نوور اوِت دُوپ کہ الله تعالیٰ

بِقُرْبَانٍ تَأْكُلُهُ النَّارُ ؕ قُلْ قَدْ جَآءَكُمْ رُسُلٌ مِّنْ قَبْلِىْ بِالْبَيِّنٰتِ
وَبِالَّذِىْ قُلْتُمْ فَلِمَ قَتَلْتُمُوْهُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿١٨٣﴾
فَاِنْ كَذَّبُوْكَ فَقَدْ كُذِّبَ رُسُلٌ مِّنْ قَبْلِكَ جَآءُوْ
بِالْبَيِّنٰتِ وَالزُّبُرِ وَالْكِتٰبِ الْمُنِيْرِ ﴿١٨٤﴾ كُلُّ نَفْسٍ ذَآئِقَةُ
الْمَوْتِ ؕ وَاِنَّمَا تُوَفَّوْنَ اُجُوْرَكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ ؕ فَمَنْ
زُحْزِحَ عَنِ النَّارِ وَاُدْخِلَ الْجَنَّةَ فَقَدْ فَازَ ؕ وَمَا

---

اَن چھو اَسہِ برونٹھین پیغمبرن ہندہِ ذریعہ حُکم فرموومُت کہ اَسِ کرونہ پزٕھ کانسہِ پیغمبرس توتانِ حَتّٰى يَاْتِيَنَا بِقُرْبَانٍ تَاْكُلُهُ النَّارُ یوٗتانِ نہ سوٗ اسہِ ہاوِہ خاص معجزہ سوٗ گو خدایہِ سِندہ خیطرٕ ہ ایہِ نذرو نیاز کرنہ۔ تتھ قربانس یعنی نذرو نیازس گژھہِ آسمانکہِ طرفہ نار اَوِتھ سوٗ کھیہِ تتھ نذرس یعنی زالیس قُلْ فرماوِیوٗکھ تِہہ یا رسوٗل اللہ قَدْ جَآءَكُمْ رُسُلٌ مِّنْ قَبْلِىْ بِالْبَيِّنٰتِ پزٕ پاٹھہِ آے توہہِ کُن وارِیاہ پیغمبر مہِ برونٹھ نَنہِ دلیلہ ہیتھ۔ وَبِالَّذِىْ قُلْتُمْ بیہِ سوٗ معجزہ ہیتھ تہِ یمیُک تُہہ مطالبہ کران چھوِہ فَلِمَ قَتَلْتُمُوْهُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ اَدہ کیازِہ مارِووکھ توہہِ تِم پیغمبر اگر تُہہ پوزِ ونان چھوِہ۔ فَاِنْ كَذَّبُوْكَ فَقَدْ كُذِّبَ رُسُلٌ مِّنْ قَبْلِكَ پس ہرگاہ توہہِ تِم لوکھ تکذیب کرَن کانہہ پرواہ بَرِ وتُہہ یارسوٗل اللہ صلی اللہ علیہِ وسلم بیشک توہہِ برونٹھ کیتاہ پیغمبر آے تِمنِ تہِ آوٕ تکذیب کرنہ۔ یِہ نو کتھاہ کانہہ چھنہ۔ جَآءُوْ بِالْبَيِّنٰتِ وَالزُّبُرِ وَالْكِتٰبِ الْمُنِيْرِ تِم تہِ آسِ نَنہِ دلیلہ ہدایت نامہ تہِ روشن کِتابہ ہیتھ آمتِ۔ اِی لوٗکو توہہِ مہ رُوز نو خیال دنیاء سی منزما چھُو روزُن نہ۔ كُلُّ نَفْسٍ ذَآئِقَةُ الْمَوْتِ پرٕ یتھ شخصاہ چھُو مرہ نکُ مزہ ژہہ ڈن یعنی پرٕیتھ اَکس چھُو مرُن۔ یمہِ دنیاہُہ اندرہ نیرن وَاِنَّمَا تُوَفَّوْنَ اُجُوْرَكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ توہہِ سارنی یِیہ پوٗرہ پوٗرہ بدلہٕ دِنہ تہِ مزوور دِنہ پنہ نین کامین ہنو۔ نیکن رٕژ مزوور نافرمانن سخت سزا۔ مگر قیامتک دوہ۔ فَمَنْ زُحْزِحَ عَنِ النَّارِ وَاُدْخِلَ الْجَنَّةَ فَقَدْ فَازَ پس یُس تتہِ دُور یِیہ تھاوِنہ نارہ نِشہِ واتناوِنہ یِیہ جنتّس منز۔ پزٕ پاٹھہِ سوٗی سپُد کامیاب تہِ رستگار۔ تسُند

الْحَيٰوةُ الدُّنْيَآ اِلَّا مَتَاعُ الْغُرُوْرِ ﴿۱۸۵﴾ لَتُبْلَوُنَّ فِيْٓ اَمْوَالِكُمْ وَاَنْفُسِكُمْ ۟ وَلَتَسْمَعُنَّ مِنَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِكُمْ وَمِنَ الَّذِيْنَ اَشْرَكُوْٓا اَذًى كَثِيْرًا ۭ وَاِنْ تَصْبِرُوْا وَتَتَّقُوْا فَاِنَّ ذٰلِكَ مِنْ عَزْمِ الْاُمُوْرِ ﴿۱۸۶﴾ وَاِذْ اَخَذَ اللّٰهُ مِيْثَاقَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ لَتُبَيِّنُنَّهٗ لِلنَّاسِ وَلَا تَكْتُمُوْنَهٗ ۡ فَنَبَذُوْهُ وَرَاۗءَ ظُهُوْرِهِمْ

---

مُرادسپڈ حاصل۔ تھے پاڑھ یُس جنتہ نشہ دُور آوَ تھاونہ۔ جہنمس منز آوَ تراونہ سوُ سپڈ سخت ناکام تہ نامُراد وَمَا الْحَيٰوةُ الدُّنْيَآ اِلَّا مَتَاعُ الْغُرُوْرِ بیہ چھنہ یہ دنیاہچ زندگی مگر دُھوکھُک اکھ سوداہ۔ تمیُک ظاہری رونق وچھتھ خریدار تنبلان چھو۔ توپتہ چھوُ سوُ چیز مَلِ ہیوان۔ کیہنہ دوہ گژھتھ چھو تتھ سوُ مایہ دوتھان۔ تلہ کنہ چھوُ نہ سوُ کنہی آسان۔ یہے مثال چھہ دنیاچہ زندگی ہنز۔ اَمہ زندگی ہُند عارضی رونق وچھتھ گژھہِ نہ آخرتہ نشہ غافل سپدُن لَتُبْلَوُنَّ فِيْٓ اَمْوَالِكُمْ وَاَنْفُسِكُمْ ضرور ایوِ تُہہ آزماونہ ای مسلمانو مالی نقصانہ سیت تہ جانی نقصانہ سیت وَلَتَسْمَعُنَّ مِنَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِكُمْ وَمِنَ الَّذِيْنَ اَشْرَكُوْٓا اَذًى كَثِيْرًا بیہ بُوزوتُہہ ضرور آیندہ تمن لُوکن نشہ تمن توہہ برونٹھ کتابہ آیہ دِنہ یعنی یہود ونصاریٰ ان نشہ بیہ مُشرکن نشہ دِل آزاری ہنزہ واریاہ کتھہ تمو سیت توُہی سیٹھاہ تکلیف واتہِ مگر وَاِنْ تَصْبِرُوْا وَتَتَّقُوْا فَاِنَّ ذٰلِكَ مِنْ عَزْمِ الْاُمُوْرِ ہرگاہ تُہ تتھ پیٹھہ صبر کرِو خلافِ شرع کامیو نشہ پتھہ رُوزِو تُہندہ خیطرہ چھُوتی بہتر۔ کیازِہ یہ صبر تہ تقویٰ چھوُ تمو کامیو اندرہ تمن ہُند سیٹھاہ تاکید چھوُ وَاِذْ اَخَذَ اللّٰهُ مِيْثَاقَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ ژیتس پاوویلہ عہد کرنا وِاللہ تعالیٰ ان اہلِ کتاب یعنی تمن کورُن حُکم توپتہ کور تمو تسلیم لَتُبَيِّنُنَّهٗ لِلنَّاسِ ضرور ننراوِہ تمہ کتابہِ ہند ساری مضمُون واضح طوروا تناوزِہ تم لُوکن وَلَا تَكْتُمُوْنَهٗ ہرِگز تھاوزِہ نہ امہ کتابہِ ہُند کانہہ مضمُونا کھٹِتھ فَنَبَذُوْهُ وَرَاۗءَ ظُهُوْرِهِمْ پس تروو تمو یہ عہد پسِ پُشت اتھہ پیٹھہ کرکھہ نہ کانہہ عمل

وَاشْتَرَوْا بِهٖ ثَمَنًا قَلِيْلًا ؕ فَبِئْسَ مَا يَشْتَرُوْنَ ﴿۱۸۷﴾ لَا تَحْسَبَنَّ الَّذِيْنَ يَفْرَحُوْنَ بِمَآ اَتَوْا وَّيُحِبُّوْنَ اَنْ يُّحْمَدُوْا بِمَا لَمْ يَفْعَلُوْا فَلَا تَحْسَبَنَّهُمْ بِمَفَازَةٍ مِّنَ الْعَذَابِ ۚ وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿۱۸۸﴾ وَلِلّٰهِ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۱۸۹﴾ اِنَّ فِيْ خَلْقِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاخْتِلَافِ الَّيْلِ وَالنَّهَارِ لَاٰيٰتٍ لِّاُولِي الْاَلْبَابِ ﴿۱۹۰﴾ ج صلے

وَاشْتَرَوْا بِهٖ ثَمَنًا قَلِيْلًا بیہِ کِنھہ یہِ کتاب کم مولس تیج نہ کنہے تہِ حقیقت چھہ فَبِئْسَ مَا يَشْتَرُوْنَ پس سیٹھاہ تیجھہ چھُو تہِ یہِ یمو اتھہ زیُونِ کیازہ امیُک سزا اچھُو نارِ جہنم لَا تَحْسَبَنَّ الَّذِيْنَ يَفْرَحُوْنَ بِمَآ اَتَوْا وَّيُحِبُّوْنَ اَنْ يُّحْمَدُوْا بِمَا لَمْ يَفْعَلُوْا تُہہ مہ ہزکرِ وخیال کہِ تمِ لُوکھ یم خوش سپدان چھہِ پنہ نین تیجھہ کامین پیٹھہ بیہِ چھہِ پسند کران لُوکھ گژھہِ تہنزن کامین ہنز تعریف کرِن یمہِ نہ تمو کرِہ مژے چھہ ہُرہ مُرہ۔ فَلَا تَحْسَبَنَّهُمْ بِمَفَازَةٍ مِّنَ الْعَذَابِ پس ہرگزمہ کرِو تُہہ گُمان دنیاء اس اندر تہندہ خاص عذابہ نِشہِ بچیج کیاہ چھہ کانہہ صوُرتھاہ بلکہِ دنیاء س اندرتہِ یِیہِ تمِن عذاب کرنہ وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ بیہِ چھُو تہندی خیطرہ کُڈر عذاب آخرِ تس اندر وَلِلّٰهِ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ بیہِ چھہ اللہ تعالیٰ سنزے سلطنت آسمانن تہ زمین ہنز چونکہ سُوی چھُو پادشاہِ حقیقی لہٰذا اچھُو لازمی تہ ضروری تہندٕ حُکم گژھہِ مانُن۔ تہنز نافرمانی کرِن چھُو سخت جُرم وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ بیہِ چھُو اللہ تعالیٰ پرِیتھہ چیزس پیٹھہ قُدرتہ وۄل تمسِ چھہ نافرمانن سزادِنس پیٹھہ تہِ پوٗرٕ قدرت اِنَّ فِيْ خَلْقِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ پزِپاٹھہِ آسمانن تہ زمین ہندِس پیدہ کرنس اندر وَاخْتِلَافِ الَّيْلِ وَالنَّهَارِ بیہِ دُہکس تہ راتکسِ ینس گژھنس اندر چھہ لَاٰيٰتٍ لِّاُولِي الْاَلْبَابِ ضروِرواریاہ دلیلہ تہ نشانہ خدلیہ سندِس کنُوی آسنس پیٹھہ عقلہِ والین ہندہ خیطرہ الَّذِيْنَ يَذْكُرُوْنَ اللّٰهَ قِيٰمًا وَّقُعُوْدًا وَّعَلٰى جُنُوْبِهِمْ تمِ عقلہِ والِ تہ گاٹل لُوک گئے تمِ یم یاد چھہِ کران معبود برحقہ سُند پرِیتھہ حالس اندر۔ وودنہِ رُوزِتھہ

الَّذِيۡنَ يَذۡكُرُوۡنَ اللّٰهَ قِيٰمًا وَّقُعُوۡدًا وَّعَلٰى جُنُوۡبِهِمۡ وَيَتَفَكَّرُوۡنَ فِىۡ خَلۡقِ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ‌ۚ رَبَّنَا مَا خَلَقۡتَ هٰذَا بَاطِلًا ۚ سُبۡحٰنَكَ فَقِنَا عَذَابَ النَّارِ ﴿۱۹۱﴾ رَبَّنَاۤ اِنَّكَ مَنۡ تُدۡخِلِ النَّارَ فَقَدۡ اَخۡزَيۡتَهٗ ‌ؕ وَمَا لِلظّٰلِمِيۡنَ مِنۡ اَنۡصَارٍ ﴿۱۹۲﴾ رَبَّنَاۤ اِنَّنَا سَمِعۡنَا مُنَادِيًا يُّنَادِىۡ لِلۡاِيۡمَانِ اَنۡ اٰمِنُوۡا بِرَبِّكُمۡ فَاٰمَنَّا ۖ رَبَّنَا فَاغۡفِرۡ لَنَا

---

ته. ٻيٺه ته ليٽرا ٿه ته وَيَتَفَكَّرُوۡنَ فِىۡ خَلۡقِ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ ٻيو تم فڪر ته تأمل ڇهِ ڪران آسمان وزمينه ڪس پيده ڪرنس اندر. درذڪروفڪر مشغول رُوزِت ڇه. ونان تمِ. رَبَّنَا مَا خَلَقۡتَ هٰذَا بَاطِلًا اے سانهِ پروردگاره ٿيهِ ڪرٿڪنه تمِ مخلوقات پيده بے معنی ته بيڪار. بلڪهِ ڇهِ تمِ ساري چيز چانهِ قُدرتِ ڪاملچهِ ٻجهِ دليله. تےَ چيز ڇهِ دَلالت ڪران چانس وجوُدس ته وحدانتيس سُبۡحٰنَكَ منزه ته پاڪ ڇهُوڪ ٿه ڪانهه ڪام بے هوُده ڪرنه نشهِ. اسِ ڇهِ اَتهه بدل وجان اِقرار ڪران فَقِنَا عَذَابَ النَّارِ پَس بچاوِ اَسهِ موُحدِ آسنڪهِ وَجهه ناره ڪه عذابهِ نشهِ رَبَّنَاۤ اِنَّكَ مَنۡ تُدۡخِلِ النَّارَ فَقَدۡ اَخۡزَيۡتَهٗ اے سانه پروردگاره اس ڇهي ٿے نارهِ نشهِ تمهِ موُکهه نجات منگان ڪهِ ٿه يُس اکهاه واتناوه هن نارس پَس بيشڪ سوُڪوُر ٿهن ٿيهه سخت رُسوا ته خوار تمهِ عذابه سيت وَمَا لِلظّٰلِمِيۡنَ مِنۡ اَنۡصَارٍ ڇهُونه هر گز ٿهين ظالمن ٿهِ نشهِ ڪانهه مدَدگاراه يُس چانهِ اَمهِ عذابهِ نشهِ بچاوِه هڪهه رَبَّنَاۤ اِنَّنَا سَمِعۡنَا مُنَادِيًا يُّنَادِىۡ لِلۡاِيۡمَانِ اے سانهِ پروردگاره ٿهه پاٺهِ اَسهِ چانيو مخلوقا تو سيت چانس وجوُدس ته وحدانتيس پيٺه استدلال ڪورتهےَ پاٺه بُوزاَسهِ بواسطه يا بلاواسطه آلودوه ڈناه آلودِوان ايمانس ڪُن اعلانِ عام ڪران ڪه اے لوڪو اَنۡ اٰمِنُوۡا بِرَبِّكُمۡ انو ايمان پنه نَس پروردگاره سندِس ذاتَس ته ٿهندين صفاتن فَاٰمَنَّا پَس اُون اَسهِ ايمان اَمهِ نقلي دِليلهِ سيت تهِ رَبَّنَا فَاغۡفِرۡ لَنَا ذُنُوۡبَنَا اَی سانهِ پروردگاره. ڈونِ ڪر ته مغفرت اَسهِ سائين بڈين گُنهن وَكَفِّرۡ عَنَّا سَيِّاٰتِنَا ٻيهِ ڪر معاف اَسهِ

ذُنُوبَنَا وَكَفِّرْ عَنَّا سَيِّاٰتِنَا وَتَوَفَّنَا مَعَ الْاَبْرَارِ ﴿۱۹۳﴾ؗ
رَبَّنَا وَاٰتِنَا مَا وَعَدْتَّنَا عَلٰى رُسُلِكَ وَلَا تُخْزِنَا يَوْمَ الْقِيٰمَةِ ؕ
اِنَّكَ لَا تُخْلِفُ الْمِيْعَادَ ﴿۱۹۴﴾ فَاسْتَجَابَ لَهُمْ رَبُّهُمْ اَنِّيْ لَاۤ اُضِيْعُ
عَمَلَ عَامِلٍ مِّنْكُمْ مِّنْ ذَكَرٍ اَوْ اُنْثٰى ۚ بَعْضُكُمْ مِّنْۢ بَعْضٍ ۚ
فَالَّذِيْنَ هَاجَرُوْا وَاُخْرِجُوْا مِنْ دِيَارِهِمْ وَاُوْذُوْا فِيْ سَبِيْلِيْ
وَقٰتَلُوْا وَقُتِلُوْا لَاُكَفِّرَنَّ عَنْهُمْ سَيِّاٰتِهِمْ وَلَاُدْخِلَنَّهُمْ
جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ ۚ ثَوَابًا مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ ؕ وَ

---

سانِ لوکٹِ گُناہ تہِ وَتَوَفَّنَا مَعَ الْاَبْرَارِ بیہِ مار اَسہ نیکو کارن سیت شامِل تھوِتھہ۔ یعنی سُون اند کر برایمان رَبَّنَا وَاٰتِنَا مَا وَعَدْتَّنَا عَلٰى رُسُلِكَ اے سانہِ پروردگارہ عطا کراَسہِ تمہ سارے مہربانی یمن ہُند وعدہ کُورتھہ ژِ یہ پنہ نین پیغمبرن ہندہِ ذریعہ۔ وَلَا تُخْزِنَا يَوْمَ الْقِيٰمَةِ رسوامہ کر اَسہِ قیامتک دوہ نارس منز واتناوِنہ سیت۔ اَسہِ واتناو ابتداءً جنتس۔ ژِ تہ چھُوتھہ امیک وعدہ کورمُت اِنَّكَ لَا تُخْلِفُ الْمِيْعَادَ پزپاٹھہِ ژہ ہرگزِ وَعدس بَدل کرکھہ نہ فَاسْتَجَابَ لَهُمْ رَبُّهُمْ اَنِّيْ لَاۤ اُضِيْعُ عَمَلَ عَامِلٍ مِّنْكُمْ مِّنْ ذَكَرٍ اَوْ اُنْثٰى پَس اجابت کورُ تمنِ تہندِ پروردگارن تہندِس منگنس۔ فرموٗنکھ بُوچھُوس نہ ضایع کران تہ راوہ راوان کانسہِ عمل کرہ ونِ سنز عمل توہہِ اندرہ۔ اَدہ سُو مرد آسِتن یازنانہ بَعْضُكُمْ مِّنْۢ بَعْضٍ تُہہ چھِوہ پانہ وانِ اڑاڑین ہندِ جزو یعنے ثواب حاصِل کرنس اندر چھِوہ تُہہ ساری برابر فَالَّذِيْنَ هَاجَرُوْا وَاُخْرِجُوْا مِنْ دِيَارِهِمْ وَاُوْذُوْا فِيْ سَبِيْلِيْ وَقٰتَلُوْا وَقُتِلُوْا پس یمو لوکو ہجرت کرِتم پنہ نیو شہروِ اندرہ کڈنہ آےَ۔ تمنِ میانہِ وَتہِ اندر ایذاتہ تکلیف دِنہ آو یمو مقابلہ کور کافرن سیت تمِ مارنہ تہ شہید کرنہ آےَ لَاُكَفِّرَنَّ عَنْهُمْ سَيِّاٰتِهِمْ البتہ ضرور کرہ بُہ تمنِ بخشایش تہندین تمنِ گُنہن یمن میانین حقوقن سیت تعلّق چھُو وَلَاُدْخِلَنَّهُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ بیہِ واتناوکھہ بُو تم تمنِ

وَاللّٰهُ عِنْدَهٗ حُسْنُ الثَّوَابِ ﴿۱۹۵﴾ لَا يَغُرَّنَّكَ تَقَلُّبُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فِي الْبِلَادِ ﴿۱۹۶﴾ مَتَاعٌ قَلِيْلٌ ۟ ثُمَّ مَاْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ ؕ وَبِئْسَ الْمِهَادُ ﴿۱۹۷﴾ لٰكِنِ الَّذِيْنَ اتَّقَوْا رَبَّهُمْ لَهُمْ جَنّٰتٌ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا نُزُلًا مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ ؕ وَمَا عِنْدَ اللّٰهِ خَيْرٌ لِّلْاَبْرَارِ ﴿۱۹۸﴾ وَاِنَّ مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ لَمَنْ يُّؤْمِنُ بِاللّٰهِ وَمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكُمْ وَمَآ اُنْزِلَ اِلَيْهِمْ خٰشِعِيْنَ

جنتن اندر یمو منزِ جو یہِ پکان آسن ثَوَابًا مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ یہِ چھہ تمنِ خدایہ سندہ طرفہ تہنزن رژن عملن ہنز مزورِ وَاللّٰهُ عِنْدَهٗ حُسْنُ الثَّوَابِ اللہ تعالیٰ سی نِشہِ چھو رژن عملن ہُند رُت ثواب لَا يَغُرَّنَّكَ تَقَلُّبُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فِي الْبِلَادِ اے پوز ژھانڈونہِ یتھہ نہ حض یہ دھوکہ دِیئی کافرن ہُند اورہ یورکرُن شہرن اَندر دنیاء ک تمتع تلان مَتَاعٌ قَلِيْلٌ یہِ چھو زندگی ہُند کم سامانہ۔ بے اعتبار کینژن دُوہن روزہ ؤن۔ مرنہ سیت گژھہِ یہ سورُے ختم ثُمَّ مَاْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ پتو لاکہ چھہ تہنزے جاے نارِ جہنّم۔ وَبِئْسَ الْمِهَادُ کاژاہ تیچھہ جایاہ چھہ سو لٰكِنِ الَّذِيْنَ اتَّقَوْا رَبَّهُمْ لیکن تمو لوکو اندرہ یم کھوژن خدایس پنہ نِس تہ مسلمان تہ فرمانبردار سپدن لَهُمْ جَنّٰتٌ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ تہندہ خیطر چھہِ تم تم جنت یمو منز جو یہ پکان آسن خٰلِدِيْنَ فِيْهَا تمنی جنتن اندر رُوزن ہمیشہ۔ نُزُلًا مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ یہِ چھہ پیش کشاہ یُوسہ تمنِ واتہ ونُوی برونٹھ گنہِ یہِ تھاونہ خدایہ سندہ طرفہ۔ وَمَا عِنْدَ اللّٰهِ خَيْرٌ لِّلْاَبْرَارِ بیہِ تمِ کنیژہاہ خدایس نِشہِ چھو نیکو کارن ہندہ خیطرہ تہِ چھو بدر جہا سیٹھاہ رُت تمہِ خوتہ یہ کافرن چھو دنیاء اس اندر وَاِنَّ مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ لَمَنْ يُّؤْمِنُ بِاللّٰهِ بیشک بیہِ چھہِ اہل کتابو اندرہ ضرور کیہنہ لوکھہ یم پزھ کران چھہِ کُنس خدایس وَمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكُمْ بیہِ تتھہ یہ کنیژہاہ توہہِ کُن نازل آوکرنہ وَمَآ اُنْزِلَ اِلَيْهِمْ بیہِ یہِ کنیژہاہ تمنِ لوکن کُن نازِل آوکرنہ خٰشِعِيْنَ لِلّٰهِ یمہِ طریقہ چھہِ تم کھوژان خدایس کہ لَا يَشْتَرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ ثَمَنًا قَلِيْلًا تمِ چھہِ نہ بین اہلِ کتابن ہندِ پاٹھہِ

لِلّٰهِ ۙ لَا يَشْتَرُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ ثَمَنًا قَلِيْلًا ؕ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ اَجْرُهُمْ
عِنْدَ رَبِّهِمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ سَرِيْعُ الْحِسَابِ ﴿۱۹۹﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا
اصْبِرُوْا وَصَابِرُوْا وَرَابِطُوْا ۣ وَاتَّقُوا اللّٰهَ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ ﴿۲۰۰﴾ ع

---

خدایہِ سُند کلام کم حقیقت مؤلس کنان اُولٰٓئِكَ لَهُمْ اَجْرُهُمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ تمے کیاہ چھہِ تمِ لوکھ یہنز۔ رٹُمزُ ورِ چھہ تہندِس پروردگارس نشہِ اِنَّ اللّٰهَ سَرِيْعُ الْحِسَابِ بیشک اللہ تعالیٰ چھُو جلد حِساب بُوزہِ ڈن حساب بوزِتھ کرہِ سُو تمنِ مزُورِ عطا يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اصْبِرُوْا وَصَابِرُوْا صبر کرِو تکلیفن پیٹھ مضبوط رُوزِویلہِ کافرن سیت مُقابلہ کرِو وَرَابِطُوْا مُستعد تہ تیار رُوزِو وَاتَّقُوا اللّٰهَ بیہِ کھوژِو خدائیس پریتھ حالس اندر۔ شریعتہ کیو حدو نشہِ مہ ڈلِوٗکھنہ حالس اندر لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ تمی سیت سپدِو تُہہ کامیاب پریتھ کامہِ اندر۔ دُنیاءس اندر تہ آخرتس اندر تہ۔



# سُوْرَةُ النِّسَاۤءِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ اتَّقُوْا رَبَّكُمُ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ وَّخَلَقَ مِنْهَا زَوْجَهَا وَبَثَّ مِنْهُمَا رِجَالًا كَثِيْرًا وَّنِسَآءً ۚ وَاتَّقُوا اللّٰهَ الَّذِيْ تَسَآءَلُوْنَ بِهٖ وَالْاَرْحَامَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلَيْكُمْ رَقِيْبًا ﴿۱﴾ وَاٰتُوا الْيَتٰمٰۤى اَمْوَالَهُمْ وَلَا تَتَبَدَّلُوا الْخَبِيْثَ بِالطَّيِّبِ ۪ وَلَا تَاْكُلُوْۤا اَمْوَالَهُمْ

---

يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ اتَّقُوْا رَبَّكُمُ اے لوکو کھو ڙو پنهنجي پروردگار سان مخالفت ۽ نافرماني ڪرڻ کان اَلَّذِيْ خَلَقَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ جنهن توهان کي پيدا ڪيو هڪ شخص کان يعني حضرت آدم وَّخَلَقَ مِنْهَا زَوْجَهَا ۽ ان پروردگار پيدا ڪيو ان شخص کان هن جي زال يعني حضرت حوا کي پيدا ڪيو حضرت آدم جي کاٻي پاسي کان وَبَثَّ مِنْهُمَا رِجَالًا كَثِيْرًا وَّنِسَآءً ۽ انهن ٻنهي کان عالم ۾ ڦهلايا بيشمار مرد ۽ زالون وَاتَّقُوا اللّٰهَ الَّذِيْ تَسَآءَلُوْنَ بِهٖ وَالْاَرْحَامَ ۽ ڊڄو خدا کان جنهن جي واسطي سان هڪ ٻئي کان حق گهرندا آهيو ۽ ماٽن جي حقن جو به خيال رکو يعني ڏاڻن ڪري پاڻ ۾ مٽن مائٽن جو حق ادا ڪندا رهو ۽ خدا کان ڊڄو ته اهي حق پاڻ وٽ ضايع ڪرڻ کان. خصوصا مٽن مائٽن جا حقوق ضايع ڪرڻ کان اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلَيْكُمْ رَقِيْبًا بيشڪ الله تعاليٰ توهان تي هميشه نگهبان آهي. سو توهان جي سڀني حالتن کان واقف آهي وَاٰتُوا الْيَتٰمٰۤى اَمْوَالَهُمْ ۽ اي والين ۽ سرپرستن يتيمن کي سندن مال حوالي ڪريو ۽ انهن کي واپس ڏيو وَلَا تَتَبَدَّلُوا الْخَبِيْثَ بِالطَّيِّبِ ۽ نه مٽايو پنهنجو خراب مال سندن سٺي مال سان وَلَا تَاْكُلُوْۤا اَمْوَالَهُمْ اِلٰۤى اَمْوَالِكُمْ ۽ نه کائو

اِلٰٓى اَمْوَالِكُمْ ؕ اِنَّهٗ كَانَ حُوْبًا كَبِيْرًا ۝۲ وَاِنْ خِفْتُمْ اَلَّا
تُقْسِطُوْا فِى الْيَتٰمٰى فَانْكِحُوْا مَا طَابَ لَكُمْ مِّنَ
النِّسَآءِ مَثْنٰى وَثُلٰثَ وَرُبٰعَ ۚ فَاِنْ خِفْتُمْ اَلَّا تَعْدِلُوْا
فَوَاحِدَةً اَوْ مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ ؕ ذٰلِكَ اَدْنٰٓى اَلَّا تَعُوْلُوْا ؕ ۝۳
وَاٰتُوا النِّسَآءَ صَدُقٰتِهِنَّ نِحْلَةً ؕ فَاِنْ طِبْنَ لَكُمْ
عَنْ شَىْءٍ مِّنْهُ نَفْسًا فَكُلُوْهُ هَنِيْٓــًٔا مَّرِيْٓــًٔا ۝۴ وَلَا تُؤْتُوا

---

تہند مال ملہٖ ناوِت پنہٕ نِس مالس سیت۔ اِنَّهٗ كَانَ حُوْبًا كَبِيْرًا پزٕ پاٹھہٕ یہ مال بدلاوُن چھُو سیٹھاہ بوٚڈ گُناہ وَاِنْ خِفْتُمْ اَلَّا تُقْسِطُوْا فِى الْيَتٰمٰى بیہ ہرگاہ تُہہ کھوٗ ژٕ یتیم کورین سیت نیتھر کرِتھ ماہیکو نہ اِس تمنِ منز عدل و انصاف قائم تھاوِتھ فَانْكِحُوْا مَا طَابَ لَكُمْ مِّنَ النِّسَآءِ مَثْنٰى وَثُلٰثَ وَرُبٰعَ تلہٕ گژھہِ تُہندٕ نکاح کرُن تمنِ یتیم کورین ورای بیٚن زنانٕن سیت۔ یمہٕ توہہِ خوش کرنوہ زیزتہٕ۔ تریہ۔ تریہ تہٕ۔ ژور۔ ژور تہٕ فَاِنْ خِفْتُمْ اَلَّا تَعْدِلُوْا فَوَاحِدَةً پس ہرگاہ زٕ زنانہٕ۔ تریہ زنانہ یا ژور زنانہٕ آسنہٕ کِس صوٗرتس منز تُہہ کھوٗ ژٕ عدل تہٕ انصاف گیاہ ہیکو نہ کرِتھ تمنِ منز سارنی معاملن اندر تیلہٕ گژھہِ اکسی زنانہِ پیٹھہٕ اِکتفاء کرُن اَوْ مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ یا کنیزہِ پیٹھی۔ ذٰلِكَ اَدْنٰٓى اَلَّا تَعُوْلُوْا یہ یعنی اکسی زنانہِ پیٹھہٕ یا صرِف کنیزہٕ پیٹھہٕ اِکتفاء کرُن چھُو زیادہ نزدیک یتھہٕ کتھہٕ کہ تُہہ کرِو نہ بے انصافی وَاٰتُوا النِّسَآءَ صَدُقٰتِهِنَّ نِحْلَةً بیہ آسِو دِوان زنانٕن مہر تُہند دِلہٕ چہ خُوشی سان فَاِنْ طِبْنَ لَكُمْ عَنْ شَىْءٍ مِّنْهُ نَفْسًا فَكُلُوْهُ هَنِيْٓــًٔا مَّرِيْٓــًٔا پس اگر تمہٕ زنانہ پننہِ خُوشی سیت مہرہ اندرہ کانہہ حصہ یا سورُی مہر تراوَن پس کھیو تُہہ تہٕ گُنہہ تہٕ ضررکہٕ اندیشہ ورائی سوٗ چھُو تہندہ خیطرہ مزہ دار تہٕ خوشگوار جبر کرِتھ مہر بخشاونہ سیت چھُو نہ مہر معاف سپدان۔ یتھے پاٹھہِ جعلسازی کرِتھ کاغذس پیٹھہ زنانہِ ہُند دستخط یا نیٹھ کرناونہ سیت چھُو نہ مہر بخشش سپدان وَلَا تُؤْتُوا السُّفَهَآءَ اَمْوَالَكُمُ اگر یتیم بالغ سپدن مگر تمِ آسَن وُنہٕ کم عقل تلہٕ مہ آسِو دِوان تمنِ کم عقلن سوٗ مال پنُن۔ الَّتِىْ جَعَلَ اللّٰهُ لَكُمْ

السُّفَهَآءَ اَمْوَالَكُمُ الَّتِيْ جَعَلَ اللّٰهُ لَكُمْ قِيٰمًا وَّارْزُقُوْهُمْ
فِيْهَا وَاكْسُوْهُمْ وَقُوْلُوْا لَهُمْ قَوْلًا مَّعْرُوْفًا ﴿۵﴾
وَابْتَلُوا الْيَتٰمٰى حَتّٰٓى اِذَا بَلَغُوا النِّكَاحَ ۚ فَاِنْ اٰنَسْتُمْ
مِّنْهُمْ رُشْدًا فَادْفَعُوْٓا اِلَيْهِمْ اَمْوَالَهُمْ ۚ وَلَا تَاْكُلُوْهَآ
اِسْرَافًا وَّبِدَارًا اَنْ يَّكْبَرُوْا ۭ وَمَنْ كَانَ غَنِيًّا
فَلْيَسْتَعْفِفْ ۚ وَمَنْ كَانَ فَقِيْرًا فَلْيَاْكُلْ بِالْمَعْرُوْفِ ۭ
فَاِذَا دَفَعْتُمْ اِلَيْهِمْ اَمْوَالَهُمْ فَاَشْهِدُوْا عَلَيْهِمْ ۭ

---

**قِيٰمًا** يُس مال عام طور الله تعاليٰ ان ڇھو بنو مُت زندگي قايم ٿھاو نکُ اُکھ ذريعہ سُوي تمن کم عقل ٻچن اتھہِ لگھہِ تمِ کرن سُو ضايع تہ خراب۔ **وَّارْزُقُوْهُمْ فِيْهَا وَاكْسُوْهُمْ** بيہِ آسيُوکھہ تمہِ منزہ کھياوان چاوان۔ بيہِ آسيؤکھہ پُوشاک بناوان **وَقُوْلُوْا لَهُمْ قَوْلًا مَّعْرُوْفًا** بيہِ آسيؤکھہ زيوہِ سيت معقول طريقہ سيت فہمائيش کران تسلّي دِوان کہ يہ مال ڇھُو تہُندي۔ اس ڇھہِ محض اپِچ حفاظت کرنہ خيطرہ **وَابْتَلُوا الْيَتٰمٰى** بيہِ آسِو يتيمين آزمائيش کران۔ تہندِہ ذريعہ آسِو بازرہ کانہہ چيز انہ ناوان تااينکہ معلوم آسہِ سپدان تمُسند فہم وشعُور کوت ووت **حَتّٰٓى اِذَا بَلَغُوا النِّكَاحَ** يوتان تمِ نيتھر کرنس قابلِ سپدان آسَن **فَاِنْ اٰنَسْتُمْ مِّنْهُمْ رُشْدًا** پس اگر تُہہ لبِو تمنِ منز صلاحيت مالکہِ حفاظت کرنِچ **فَادْفَعُوْٓا اِلَيْهِمْ اَمْوَالَهُمْ** ادہ ديوِ تمنِ مال پُنن يعني کريوکھہ سپرد **وَلَا تَاْكُلُوْهَآ اِسْرَافًا وَّبِدَارًا اَنْ يَّكْبَرُوْا** بيہِ مَہ آسِو مال تُہند زيادہ خرچان، جلد جلد موکلاوان۔ يمہِ خيالہ کہ تمِ مابڈِن تہ بالغ سپدِن۔ پتہ پيہِ نہ اَسہِ خرچنک تہ کھينک کانہہ موقع **وَمَنْ كَانَ غَنِيًّا فَلْيَسْتَعْفِفْ** بيہِ يُس وَلياہ تہ سرَ پرستاہ مالدار آسہِ سُورُوزِن بالکلُ پاک يتيميہ سُند مال کھينہ نِشہ **وَمَنْ كَانَ فَقِيْرًا فَلْيَاْكُلْ بِالْمَعْرُوْفِ** بيہِ يُس سرَپرست فقير آسہِ سُو ھين ڇپئن تمہِ منزہ مُناسبِ طريقہ موجب **فَاِذَا**

وَكَفٰى بِاللّٰهِ حَسِيْبًا ۝٦ لِلرِّجَالِ نَصِيْبٌ مِّمَّا تَرَكَ
الْوَالِدٰنِ وَالْاَقْرَبُوْنَ ۠ وَلِلنِّسَآءِ نَصِيْبٌ مِّمَّا
تَرَكَ الْوَالِدٰنِ وَالْاَقْرَبُوْنَ مِمَّا قَلَّ مِنْهُ اَوْ كَثُرَ ؕ
نَصِيْبًا مَّفْرُوْضًا ۝٧ وَاِذَا حَضَرَ الْقِسْمَةَ اُولُوا
الْقُرْبٰى وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنُ فَارْزُقُوْهُمْ مِّنْهُ
وَقُوْلُوْا لَهُمْ قَوْلًا مَّعْرُوْفًا ۝٨ وَلْيَخْشَ الَّذِيْنَ

---

دَفَعْتُمْ اِلَيْهِمْ اَمْوَالَهُمْ تو پتہ یلہِ تُہہ واتناوِو تمنِ ہُنٛد مال تُہنٛد یعنی تمن کرِو سُپرد فَاَشْهِدُوْا عَلَيْهِمْ پس گواہ تھاویو کھ تمنِ پیٹھ وَكَفٰى بِاللّٰهِ حَسِيْبًا کافی چھُو اللہ تعالیٰ حِساب ہیوہ وُن لِلرِّجَالِ نَصِيْبٌ مِّمَّا تَرَكَ الْوَالِدٰنِ وَالْاَقْرَبُوْنَ مَردن اَدہ تمِ لوکٹِ آستن یابڈِ تہندِ ہ خیطرہ تہِ چھُ اَکھ حصہِ تتھ مالس اندر۔ یُس تراون پتھ ہُن مَرنہ پتہ مُول مُوج تہ نزدیک آشِنا وَلِلنِّسَآءِ نَصِيْبٌ مِّمَّا تَرَكَ الْوَالِدٰنِ وَالْاَقْرَبُوْنَ تِتھے پاٹھِ چھُو زنانن اَدہ تمہِ لوکچہِ آستن یابجہ تہندِ ہ خیطرہ تہِ اَکھ حصہِ تتھ اندر یُس تراوَن پتھ ہُن مَرنہ پتہ مُول مُوج تہ نزدیک آشِنا۔ مِمَّا قَلَّ مِنْهُ اَوْ كَثُرَ اَدہ سُو مال کم آستن یازیادہ آستن نَصِيْبًا مَّفْرُوْضًا سارنِی ہندِ ہ خیطرہ چھُو تتھ مالس اَندر اَکھ حِصہّ مقرّر کرنہ آمُت خدایہِ سندہ طرفہ۔ تہذ اگرٕ شھِ نہ کانہہ تہ نہ مَرد تہ نہ زنانہ۔ نہ بوڈ تہ نہ لوکُٹ تمہِ حصہِ نِشہِ محرُوم یُن کرنہ وَاِذَا حَضَرَ الْقِسْمَةَ اُولُوا الْقُرْبٰى وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنُ فَارْزُقُوْهُمْ مِّنْهُ بیہ یلہِ حاضِر آسَن سپدان ترکس تقسیم کرنکہ وقتہ آشنا یتیم تہ مسکین پس آسِو تمنِ کھین چین دِوان تمی ترکہ کہِ مالہ منزہ۔ یہِ حُکم اُوس ابتداءس اندر۔ پتہ چھُو نہ یہِ حُکم رُودمُت یلہ وراثُک صریح اَحکام نازِل سپدِ۔ وَقُوْلُوْا لَهُمْ قَوْلًا مَّعْرُوْفًا بیہ آسِو تمن سیت کتھہ کران مُناسب طریقہ وَلْيَخْشَ الَّذِيْنَ لَوْ تَرَكُوْا مِنْ خَلْفِهِمْ ذُرِّيَّةً ضِعٰفًا خَافُوْا عَلَيْهِمْ بیہ گژھِ کھوژُن تمنِ لُوکن ہُنٛد یتیمَن ہندِ ہ حقّہ تہندِ س نقصانس ۔ زانُن گژھِ کہ ہر گاہ تمنِ

لَوْ تَرَكُوْا مِنْ خَلْفِهِمْ ذُرِّيَّةً ضِعٰفًا خَافُوْا عَلَيْهِمْ ۖ فَلْيَتَّقُوا اللّٰهَ وَلْيَقُوْلُوْا قَوْلًا سَدِيْدًا ﴿۹﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ يَاْكُلُوْنَ اَمْوَالَ الْيَتٰمٰى ظُلْمًا اِنَّمَا يَاْكُلُوْنَ فِيْ بُطُوْنِهِمْ نَارًا ؕ وَسَيَصْلَوْنَ سَعِيْرًا ﴿۱۰﴾ ع

يُوْصِيْكُمُ اللّٰهُ فِيْۤ اَوْلَادِكُمْ ۖ لِلذَّكَرِ مِثْلُ حَظِّ الْاُنْثَيَيْنِ ۚ فَاِنْ كُنَّ نِسَآءً فَوْقَ اثْنَتَيْنِ فَلَهُنَّ ثُلُثَا مَا تَرَكَ ۚ وَاِنْ كَانَتْ وَاحِدَةً فَلَهَا

---

سرپرستن پننہِ مرنہِ وقتہ لوکٹِ لوکٹ اولاد پانس پتھ کُن روزہ ہَن تہندہ خیطرہ گژھہِ فکرِ تہ غم تھاوہَن۔ یُتھوی معاملہ گژھہِ بُوزُن پرِیتھہ یتیمہ سندہ حقہٕ فَلْيَتَّقُوا اللّٰهَ وَلْيَقُوْلُوْا قَوْلًا سَدِيْدًا پَس کھوژِ واللہ تعالیٰ اَس۔ بیہ وَنوِ مفید تہ مربُوط کلام اِنَّ الَّذِيْنَ يَاْكُلُوْنَ اَمْوَالَ الْيَتٰمٰى ظُلْمًا پزِ پاٹھِہ تِم لُوکھ یتیمن ہُند مال چھہِ کھیوان ناحق ظُلم و ستم کرِتھ اِنَّمَا يَاْكُلُوْنَ فِيْ بُطُوْنِهِمْ نَارًا تِم چھنہِ مگر پننہ نین یڈن منز نار بران وَسَيَصْلَوْنَ سَعِيْرًا بیہ واتن عنقریب تِم دزہ وُنس نارس اَندر يُوْصِيْكُمُ اللّٰهُ فِيْۤ اَوْلَادِكُمْ اللہ تعالیٰ چھُو توہہِ وراثتُک حُکم فرماوان تہُندین اولادَن ہندہ حقہ۔ کُوہ کتھہ پاٹھہ گرِہ۔ وراثتہ منزہ پُنن حِصہٕ حاصِل لِلذَّكَرِ مِثْلُ حَظِّ الْاُنْثَيَيْنِ اَکس مَردہ سُند حصہِ چھُو دون زنانن ہندِس حصّس برابر۔ بیلہِ اکھ پُچُو تہ زہ کورِہ آسَن۔ سارسی مالس سپدہ نصفا نصف اکھ نصف گوپچُوسِ۔ بیاکھ نصف گو دون کورین باگرتھہ۔ ہرگاہ پچُوس سیت آسہِ اکھ کورتلہِ ین مالس ترِیہ حصہِ کرنہ زہ حصہٕ گےپچُوسِ اکھ حصہٕ گو کورہ۔ ہرگاہ پچُوی یُوت آسہِ وارِث تلہِ گو سورُی مال تَسِ فَاِنْ كُنَّ نِسَآءً فَوْقَ اثْنَتَيْنِ فَلَهُنَّ ثُلُثَا مَا تَرَكَ پس ہرگاہ پتھ کُن روزن کورے زہ یا دویُو خوتہ زیادہ پَس تہندہ خیطرہ چھُو سارُی مالہ کیوتر یو حصہٕ اندرہ زہ حصہٕ۔ یُس مُال مرِتِ شخصن پتھ کُن ترووُمُت آسہِ وَاِنْ كَانَتْ وَاحِدَةً ہرگاہ اکے کُور روزہِ پتھ کُن فَلَهَا النِّصْفُ تمس واتہِ مالُک نصف حصہٕ باقی گو بین آشناون تِمِ حقدار آسَن۔ وَلِاَبَوَيْهِ مُردہ سندِس مالس ماجہ ہُند حصہٕ چھُو لِكُلِّ وَاحِدٍ مِّنْهُمَا السُّدُسُ مِمَّا تَرَكَ

النِّصۡفُ ؕ وَلِاَبَوَیۡهِ لِكُلِّ وَاحِدٍ مِّنۡهُمَا السُّدُسُ مِمَّا تَرَكَ اِنۡ
كَانَ لَهٗ وَلَدٌ ۚ فَاِنۡ لَّمۡ يَكُنۡ لَّهٗ وَلَدٌ وَّوَرِثَهٗۤ اَبَوٰهُ فَلِاُمِّهِ الثُّلُثُ ۚ
فَاِنۡ كَانَ لَهٗۤ اِخۡوَةٌ فَلِاُمِّهِ السُّدُسُ مِنۡۢ بَعۡدِ وَصِيَّةٍ يُّوۡصِىۡ
بِهَاۤ اَوۡ دَيۡنٍ ؕ اٰبَآؤُكُمۡ وَاَبۡنَآؤُكُمۡ ۚ لَا تَدۡرُوۡنَ اَيُّهُمۡ اَقۡرَبُ لَـكُمۡ
نَفۡعًا ؕ فَرِيۡضَةً مِّنَ اللّٰهِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيۡمًا حَكِيۡمًا ⑪ وَلَكُمۡ
نِصۡفُ مَا تَرَكَ اَزۡوَاجُكُمۡ اِنۡ لَّمۡ يَكُنۡ لَّهُنَّ وَلَدٌ ۚ فَاِنۡ كَانَ
لَهُنَّ وَلَدٌ فَلَكُمُ الرُّبُعُ مِمَّا تَرَكۡنَ مِنۡۢ بَعۡدِ وَصِيَّةٍ يُّوۡصِيۡنَ بِهَاۤ

---

تمو دویو اندره پریتھه اکس واتہ شیم حصہ۔ تمہ مالہ منزہ یُس مال مومتِ شخصن پتھہ کُن ترو ومُت آسہ اِنۡ كَانَ لَهٗ وَلَدٌ ہرگہے لس موتس شخصس آسہ رُودمُت اولادتہ فَاِنۡ لَّمۡ يَكُنۡ لَّهٗ وَلَدٌ پس ہرگاہ لس اولاد آسہ نہ رُودمُت وَّوَرِثَهٗۤ اَبَوٰهُ وارث آسیس رُودمُت مول موج فَلِاُمِّهِ الثُّلُثُ تلہ گوماجہ ترتَم حصہ باقی گومالس فَاِنۡ كَانَ لَهٗۤ اِخۡوَةٌ فَلِاُمِّهِ السُّدُسُ ہرگاہ امس مَردس آسَن رُودمت بائ یا بینہ تہ تلہ واتہ ماجہ شیم حصہ باقی گومالس بیلن بامَن نہ کنہی مِنۡۢ بَعۡدِ وَصِيَّةٍ يُّوۡصِىۡ بِهَاۤ اَوۡ دَيۡنٍ یہ تقسیم یُوسہ بیان کرنہ آیہ گئیہ وصیت تہ قرض ادا کرنہ پتہ اٰبَآؤُكُمۡ وَاَبۡنَآؤُكُمۡ لَا تَدۡرُوۡنَ اَيُّهُمۡ اَقۡرَبُ لَـكُمۡ نَفۡعًا مال تہند بیہ پنچو تہندِ۔ توہہ چھنہ کیہنہ خبر کوہ چھو توہہ تمو اندرہ زیادہ فائیدہ تہ نفع واتناوہ ڈن۔ اچ خبر چھہ خدایہ سی یاڑ فَرِيۡضَةً مِّنَ اللّٰهِ تمی خداین چھو پریتھہ اکسُند حصہ مقرر کورمُت اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيۡمًا حَكِيۡمًا بیشک اللہ تعالیٰ چھو سورُی زانہ ڈن۔ سُوی چھو حکمتہ وڈل۔ وَلَكُمۡ نِصۡفُ مَا تَرَكَ اَزۡوَاجُكُمۡ بیہ چھو تہندہ خیطرہ نصف تمہ مالُک یُس پتھہ کُن تراون تُہنزہ زنانہ اِنۡ لَّمۡ يَكُنۡ لَّهُنَّ وَلَدٌ ہرگہ نے تمن روزہ اولاد فَاِنۡ كَانَ لَهُنَّ وَلَدٌ فَلَكُمُ الرُّبُعُ مِمَّا تَرَكۡنَ ہرگاہ تمن اولاد روزہ پتھہ کُن تلہ چھو تہندہ خیطرہ ژورُتم حصہ تہندہ مالُک یُس تمو پتھ کُن ترو ومُت آسہ مِنۡۢ بَعۡدِ وَصِيَّةٍ يُّوۡصِيۡنَ بِهَاۤ اَوۡ دَيۡنٍ یو ہے

اَوْ دَيْنٍ ۗ وَلَهُنَّ الرُّبُعُ مِمَّا تَرَكْتُمْ اِنْ لَّمْ يَكُنْ لَّكُمْ وَلَدٌ ۚ فَاِنْ كَانَ لَكُمْ وَلَدٌ فَلَهُنَّ الثُّمُنُ مِمَّا تَرَكْتُمْ مِّنْۢ بَعْدِ وَصِيَّةٍ تُوْصُوْنَ بِهَآ اَوْ دَيْنٍ ۗ وَاِنْ كَانَ رَجُلٌ يُّوْرَثُ كَلٰلَةً اَوِ امْرَاَةٌ وَّلَهٗٓ اَخٌ اَوْ اُخْتٌ فَلِكُلِّ وَاحِدٍ مِّنْهُمَا السُّدُسُ ۚ فَاِنْ كَانُوْٓا اَكْثَرَ مِنْ ذٰلِكَ فَهُمْ شُرَكَآءُ فِي الثُّلُثِ مِنْۢ بَعْدِ وَصِيَّةٍ يُّوْصٰى بِهَآ اَوْ دَيْنٍ ۙ غَيْرَ مُضَآرٍّ ۚ وَصِيَّةً مِّنَ اللّٰهِ ۗ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَلِيْمٌ ﴿۱۲﴾

---

تقسیم چھو تمہِ وصیتہ پتہ یوسہ تمو کرمژ آسہِ کانسہِ ہندِ ہ حقہ بیہ قرضہ ادا کرنہ پتہ **وَلَهُنَّ الرُّبُعُ مِمَّا تَرَكْتُمْ اِنْ لَّمْ يَكُنْ لَّكُمْ وَلَدٌ** بیہِ زنانن ہندِ ہ خیطرہ ژورِ یم حصہِ تہندِ ہ مالہ منزہ یُس تُہہِ پتھہ کُن تراوِ وَ ہرگاہ نے توہہِ آسہِ اولاد **فَاِنْ كَانَ لَكُمْ وَلَدٌ فَلَهُنَّ الثُّمُنُ مِمَّا تَرَكْتُمْ** پَس ہرگاہ توہہِ پتھہ کُن اولاد تہ آسہِ تلہِ واتہِ تہنزن زنانن تُہندِ ہ مالک اُ ٹھیم (۸) حصہِ یُس توہہ پتھہ کُن ترووِمُت آسِوہ **مِّنْۢ بَعْدِ وَصِيَّةٍ تُوْصُوْنَ بِهَآ اَوْ دَيْنٍ** سوی وراثت یِیہ جاری کرنہ تہنز وصیّت تہ قرض پُورہ کرنہ پتہ **وَاِنْ كَانَ رَجُلٌ يُّوْرَثُ كَلٰلَةً** وُنی ہرگاہ کانہہ شخصاہ آسہِ یُس نہ مۄل مۄج آسہِ نہ اولاد آسَن **اَوِ امْرَاَةٌ** یا کانہہ زنانہ آسہِ یَس نہ مۄل نہ مۄل مۄج تہ اولاد آسَن **وَّلَهٗٓ اَخٌ اَوْ اُخْتٌ** تَس آسہِ بُوی یا بینہ **فَلِكُلِّ وَاحِدٍ مِّنْهُمَا السُّدُسُ** پُس چھُو تمو دۄیو اَندرہ پرِیتھہ اکسندِ ہ خیطرہ شیم حصہِ **فَاِنْ كَانُوْٓا اَكْثَرَ مِنْ ذٰلِكَ فَهُمْ شُرَكَآءُ فِي الثُّلُثِ** وۄن ہرگاہ تمہِ خوتہ زیادہ آسن تِم تلہ چھہِ تِم ساری شریک اکس ترِیمِس حصّس اندر **مِنْۢ بَعْدِ وَصِيَّةٍ يُّوْصٰى بِهَآ اَوْ دَيْنٍ** یہ تقسیم تہ وراثت یِیہ جاری کرنہ تمہِ وصیتہ پتہ یُوسہ وصیّت کرنہ آمژ آسہِ، بیہِ قرض نِکھہ والِتھہ **غَيْرَ مُضَآرٍّ** مگر یہِ وصیّت گژھہِ آسن تژھی یُوسہ نہ کانسہِ وارِثس ضرر واتناوِہ۔ یعنی مالکہِ تریمہ حصہِ خوتہ گژھہِ نہ زیادہ آسن۔ یُوسہ وصیّت تریمہِ حصہِ خوتہ زیادہ آسہِ سۆ یِیہ نہ جاری کرنہ **وَصِيَّةً مِّنَ اللّٰهِ** یُوہے حُکم چھُو خدایہِ سندِ ہ طرفہ **وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَلِيْمٌ** اللہ تعالیٰ چھُو سورُی زانہ وُن تہ ژیڈ کرہ وُن۔ تمسِ چھُو معلوم کُہہ چھُو میانِ حُکم مانان تہ کُہہ

تِلْكَ حُدُوْدُ اللّٰهِ ۭ وَمَنْ يُّطِعِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ يُدْخِلْهُ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْھٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ۭ وَذٰلِكَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ ﴿١٣﴾ وَمَنْ يَّعْصِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ وَيَتَعَدَّ حُدُوْدَهٗ يُدْخِلْهُ نَارًا خَالِدًا فِيْهَا ۠ وَلَهٗ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ ﴿١٤﴾ وَالّٰتِيْ يَاْتِيْنَ الْفَاحِشَةَ مِنْ نِّسَاۗىِٕكُمْ فَاسْتَشْهِدُوْا عَلَيْهِنَّ اَرْبَعَةً مِّنْكُمْ ۚ فَاِنْ شَهِدُوْا فَاَمْسِكُوْھُنَّ فِي الْبُيُوْتِ حَتّٰى يَتَوَفّٰىھُنَّ الْمَوْتُ اَوْ يَجْعَلَ اللّٰهُ لَھُنَّ

---

چھُونہ مانان۔ تہٕ مانن والین چھُونہ سیٹھی سزا دِوان کیازہ سُو چھُو حلیم تہٕ۔ تِلْكَ حُدُوْدُ اللّٰهِ یِم احکام چھِہ خدایہ سند نشانہ یمو نشہ گژھہِ نہ ڈُلن وَمَنْ يُّطِعِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ یُس اکھاہ حُکم مانہِ خدایہ سُند بیہ تہندِس پیغمبرہ سُند يُدْخِلْهُ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْھٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا تَس واتناوِہ خدا تمن جنتن اندر یمو منز جویہِ پکان آسن۔ تمنی جنتن منز روزن تمِ ہمیشہ وَذٰلِكَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ یہے گئیہ بڈ کامیابی تہٕ رستگاری وَمَنْ يَّعْصِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ بیہِ یُس نافرمانی کرِہ خدایہ سنز بیہ تہندِس رسُولہ سنز وَيَتَعَدَّ حُدُوْدَهٗ بیہِ ڈلہِ تہند یو حدو نشہِ۔ مساوی زانہ یمن حدن ہنز پابندی کرن سُو گو کُفر۔ تمیُک سزا اچھو يُدْخِلْهُ نَارًا خَالِدًا فِيْهَا تَس واتناوِہ خدا نار جنہمس اندر ہمیشہ خیطرہ وَلَهٗ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ بیہِ چھُو تہندِی خیطرہ ذلیل کرہ وُن عذاب وَالّٰتِيْ يَاْتِيْنَ الْفَاحِشَةَ مِنْ نِّسَاۗىِٕكُمْ بیہ تمہِ زنانہ تیچھہِ کامہِ کرن تہنز و منکوحہ زنانو اندرہ فَاسْتَشْهِدُوْا عَلَيْهِنَّ اَرْبَعَةً مِّنْكُمْ پس رٹو تُہہ تمنِ پیٹھہ ژور گواہ مسلمان فَاِنْ شَهِدُوْا پس یلہِ تمِ ژور گواہ گواہی دِن تہنزِہ تیچھہ کامہ پیٹھہ فَاَمْسِكُوْھُنَّ فِي الْبُيُوْتِ حَتّٰى يَتَوَفّٰىھُنَّ الْمَوْتُ اَوْ يَجْعَلَ اللّٰهُ لَھُنَّ سَبِيْلًا پس کریوکھ تمہِ زنانہ بند گرن اندر یُوتتانِ تمہِ مرن یا فرماوِہ اللہ تعالیٰ تہندہ خیطرہ بیاکھ حُکماہ۔ وَالَّذٰنِ يَاْتِيٰنِهَا مِنْكُمْ

سَبِيْلًا ﴿۱۵﴾ وَالَّذٰنِ يَاْتِيٰنِهَا مِنْكُمْ فَاٰذُوْهُمَا ۚ فَاِنْ تَابَا
وَاَصْلَحَا فَاَعْرِضُوْا عَنْهُمَا ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ تَوَّابًا رَّحِيْمًا ﴿۱۶﴾
اِنَّمَا التَّوْبَةُ عَلَى اللّٰهِ لِلَّذِيْنَ يَعْمَلُوْنَ السُّوْٓءَ بِجَهَالَةٍ
ثُمَّ يَتُوْبُوْنَ مِنْ قَرِيْبٍ فَاُولٰٓئِكَ يَتُوْبُ اللّٰهُ
عَلَيْهِمْ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيْمًا حَكِيْمًا ﴿۱۷﴾ وَلَيْسَتِ التَّوْبَةُ
لِلَّذِيْنَ يَعْمَلُوْنَ السَّيِّاٰتِ ۚ حَتّٰٓى اِذَا حَضَرَ اَحَدَهُمُ
الْمَوْتُ قَالَ اِنِّىْ تُبْتُ الْـٰٔنَ وَلَا الَّذِيْنَ يَمُوْتُوْنَ

---

بيهِ يم زه شخص مرد ته زنانه تِچھه كوم كرن توهه اندره فَاٰذُوْهُمَا پَس واتناوِو تكليف تمن
اَتھوسيت ته كتھوسيت۔ فَاِنْ تَابَا وَاَصْلَحَا فَاَعْرِضُوْا عَنْهُمَا پَس هر گاه تمو توبه كور۔ پنن
حالت درست كركھ پَس تراوِو تمن تكليف دِنك خيال۔ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ تَوَّابًا رَّحِيْمًا پزپاٹھ الله تعالىٰ
چھُو سيٹھاه توبه قبول كره وُن۔ سيٹھاه رحم كره وُن۔ يم احكام آسِ حدِ زِنا نازل سپد نه برونٹھه اِنَّمَا
التَّوْبَةُ عَلَى اللّٰهِ لِلَّذِيْنَ يَعْمَلُوْنَ السُّوْٓءَ بِجَهَالَةٍ ثُمَّ يَتُوْبُوْنَ مِنْ قَرِيْبٍ توبه قبول كرن چھُو
نه مٹه الله تعالىٰ اَس پیٹھه مگر تمن لوگن هند توبه يم تِچھه كوم كرن ناداني سببه توپته كرن تمهِ پتےَ توبه يعنے مرنكُ
وقت واتنه برونٹھه فَاُولٰٓئِكَ يَتُوْبُ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ پَس تهندُوى تُوبه گرِه الله تعالىٰ قبول
وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيْمًا حَكِيْمًا الله تعالىٰ چھُو سورُى زانه وُن ته سيٹھا حكمة ووُل۔ تَس چھه پُور خبر كمَ
چھه دِله كَن توبه كران ته كم چھنه بصدقِ دِل توبه كران۔ تهُند حكيم آسُن گوكهِ سُو چھُونه بصدقِ دِل توبه
كرونين منده چھاوان ته رسوا كران وَلَيْسَتِ التَّوْبَةُ لِلَّذِيْنَ يَعْمَلُوْنَ السَّيِّاٰتِ بيهِ چھونه توبه
قبول سپدان تمن لُوكن هُند يم تِچھه كامهِ روزن كران حَتّٰٓى اِذَا حَضَرَ اَحَدَهُمُ الْمَوْتُ قَالَ اِنِّىْ
تُبْتُ الْـٰٔنَ يوتانِ تمن مرنك وقت واته عالم آخر تك چيز نيكھه بوزنه تمهِ ساته دِپن اسِ چھهِ توبه

وَهُمْ كُفَّارٌ ۚ أُولَٰئِكَ أَعْتَدْنَا لَهُمْ عَذَابًا أَلِيمًا ⑱

يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا لَا يَحِلُّ لَكُمْ أَنْ تَرِثُوا النِّسَاءَ كَرْهًا ۖ وَلَا

تَعْضُلُوهُنَّ لِتَذْهَبُوا بِبَعْضِ مَا آتَيْتُمُوهُنَّ إِلَّا أَنْ يَأْتِينَ

بِفَاحِشَةٍ مُبَيِّنَةٍ ۚ وَعَاشِرُوهُنَّ بِالْمَعْرُوفِ ۚ فَإِنْ كَرِهْتُمُوهُنَّ

فَعَسَىٰ أَنْ تَكْرَهُوا شَيْئًا وَيَجْعَلَ اللَّهُ فِيهِ خَيْرًا كَثِيرًا ⑲ وَإِنْ

أَرَدْتُمُ اسْتِبْدَالَ زَوْجٍ مَكَانَ زَوْجٍ وَآتَيْتُمْ إِحْدَاهُنَّ قِنْطَارًا

---

كران وون. تِنهِ ساڳُڻ توبه ڇُونه قابلِ قبول وَلَا الَّذِينَ يَمُوتُونَ وَهُمْ كُفَّارٌ بيهِ ڇُونهِ تِنِ لوڪن هُند توبه قبول تِم مَرَن ڪُفر س پيٺه. أُولَٰئِكَ أَعْتَدْنَا لَهُمْ عَذَابًا أَلِيمًا تِم لوکه يم ڇهِ تهندِه خيطره ڇُواسهِ تيار ٿهومُت ڪڏر عذاب يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا لَا يَحِلُّ لَكُمْ أَنْ تَرِثُوا النِّسَاءَ كَرْهًا اى باايمانو هرگز ڇُونه توهِ جائز ته حلال ٿُهه کياه سپدوجبر أته زبردستی زنانن هندِ وارِث وَلَا تَعْضُلُوهُنَّ بيهِ مَه آسيُوکه زنانه بند کران لِتَذْهَبُوا بِبَعْضِ مَا آتَيْتُمُوهُنَّ يِتھُ ٿُهه وصُول کُر و تِمهِ ماله اَندره ڪيهنه يُس توهِ تِمن ديُتمُت آسوه إِلَّا أَنْ يَأْتِينَ بِفَاحِشَةٍ مُبَيِّنَةٍ مگرے تِمهِ ڪانهه نَنّ ڇهه ڪاماه ڪرن تلهِ ڇُھوتبهه خيطره تِمهِ بند کرنه جائیز مگر سُومال وصول کرن يُس توهِ تِمنِ ديُتمُت آسوه ڇُھونا جائزبدستور وَعَاشِرُوهُنَّ بِالْمَعْرُوفِ بيهِ آسوِ زنانن سيت زندگی بَسر کران رتِ پاٹھ. فَإِنْ كَرِهْتُمُوهُنَّ پَس هرگاه توهِ تِمِ ناپسند آسَن فَعَسَىٰ أَنْ تَكْرَهُوا شَيْئًا پَس مُمکن ڇُھويُس چيز توهِ ناپسند آسهِ وَيَجْعَلَ اللَّهُ فِيهِ خَيْرًا كَثِيرًا الله تعالیٰ ٿاوِه تِتهِ اندر تهندِه خيطره واریاه خير ته برکت وَإِنْ أَرَدْتُمُ اسْتِبْدَالَ زَوْجٍ مَكَانَ زَوْجٍ هرگاه ٿُهه اراده کُرِ وانُس زنانهِ بدل بياکھ زنانه کرن يعنی اکھ موکلاون تَس بدل بياکھ کرن وَآتَيْتُمْ إِحْدَاهُنَّ قِنْطَارًا تتھ حالَس اندر هرگاه تِمو زنانو اندره کانسه واریاه مال آسوه ديُتمُت فَلَا تَأْخُذُوا مِنْهُ شَيْئًا پَس يُتھنه تِمهِ ماله منزه واپس هيوان آسيُوکه ڪينهه أَتَأْخُذُونَهُ بُهْتَانًا وَإِثْمًا مُبِينًا کياه هيوکھه سُومال واپس ظُلم کُرِ تھ. ڇِن پان بڈِس ظلمس گرفتار کُرِ تھ. تهِ گژهِ نه هرگز گرن وَكَيْفَ

فَلَا تَاْخُذُوْا مِنْهُ شَيْـًٔا ؕ اَتَاْخُذُوْنَهٗ بُهْتَانًا وَّ اِثْمًا مُّبِيْنًا ﴿۲۰﴾ وَ كَيْفَ تَاْخُذُوْنَهٗ وَقَدْ اَفْضٰى بَعْضُكُمْ اِلٰى بَعْضٍ وَّ اَخَذْنَ مِنْكُمْ مِّيْثَاقًا غَلِيْظًا ﴿۲۱﴾ وَلَا تَنْكِحُوْا مَا نَكَحَ اٰبَآؤُكُمْ مِّنَ النِّسَآءِ اِلَّا مَا قَدْ سَلَفَ ؕ اِنَّهٗ كَانَ فَاحِشَةً وَّ مَقْتًا ؕ وَ سَآءَ سَبِيْلًا ﴿۲۲﴾ حُرِّمَتْ عَلَيْكُمْ اُمَّهٰتُكُمْ وَ بَنٰتُكُمْ وَ اَخَوٰتُكُمْ وَ عَمّٰتُكُمْ وَ خٰلٰتُكُمْ وَ بَنٰتُ الْاَخِ وَ بَنٰتُ

---

تَاْخُذُوْنَهٗ وَقَدْ اَفْضٰى بَعْضُكُمْ اِلٰى بَعْضٍ تہٕ کتھہ پاٹھہٕ ہیؤ تمن نشہِ سُو مال حالانکہ بتحقیق نزدیک چھِوہ سپدِ مُت تہٕ تمنِ یعنی خلوت صحیحہ چھُولبنہ آمُت۔ وَّ اَخَذْنَ مِنْكُمْ مِّيْثَاقًا غَلِيْظًا بیہٕ چھُو تموٕ زنانوٕ تہٕ توہہٕ نشہِ عہد و پیمان روٹمُت عقدِ نکاح یعنے ایجاب و قبول کرنہٕ وقتہٕ۔ تُہہ چھِوہ مہرِ سی بدلہ زنانہٕ نشہٕ تمتع تُلن قبول کورمُت۔ لہذا ایلہٕ تُہہٕ تمتع تلوہ تمیک بدلہ تہٕ عِوض یعنی مہر کیازہ کُرِ ونہ ادا۔ یہیٔ گیہ سخت بے انصافی تہٕ ظُلم وَلَا تَنْكِحُوْا مَا نَكَحَ اٰبَآؤُكُمْ مِّنَ النِّسَآءِ اے باایمانو بیہٕ مہٕ آسوِ نیتھر کران تمنِ زنانن سیت یمن سیت تہندیو مالیو یابڈِ ببو نکاح آسہِ کورمُت یا ناجائز طریقہ پاٹھہِ ہمبستری آسہِ کُرمژ اِلَّا مَا قَدْ سَلَفَ مگر یہ اَزکہِ برونٹھہ گذر یومُت آسہِ یعنی اسلامہ برونٹھہ تہٕ آو اسلامہ کہِ برکتہ عفو کرنہ۔ اِنَّهٗ كَانَ فَاحِشَةً وَّ مَقْتًا پُزٕ پاٹِ تہٕ چھُو عقلہٕ کِن تہٕ سیٹھاہ تچھہ عُرفہٕ کِن تہٕ سیٹھاہ قابل نفرت وَ سَآءَ سَبِيْلًا بیہٕ چھُو شرعاً تہٕ سیٹھاہ خراب طریقہ حُرِّمَتْ عَلَيْكُمْ اُمَّهٰتُكُمْ وَ بَنٰتُكُمْ وَ اَخَوٰتُكُمْ حرام آیہٕ کرنہ توہہٕ پیٹھہ ماجہٕ تُہنزٕ ہ۔ بیہٕ کورہ تہنزہ۔ بیہٕ بینہٕ تُہنزٕ ہ۔ تمہٕ سکہ بینہ آستن۔ مالِ بینہ آستن یا ماجہ بینہٕ آستن۔ یعنی تمنِ سیت نکاح کرن چھُو توہہٕ حرام تہٕ ناجایز وَ عَمّٰتُكُمْ بیہٕ پُوپھہ تُہنزٕ ہ۔ تہنزن مالین ہنزہ بینہٕ۔ سکہ بینہٕ۔ مال بینہٕ۔ ماجہ بینہ وَ خٰلٰتُكُمْ بیہٕ ماسہ تہنزہ۔ یعنی ماجن ہنزہ بینہٕ۔ سکہ بینہٕ۔ مالِ بینہٕ ماجہ بینہ وَ بَنٰتُ الْاَخِ وَ بَنٰتُ الْاُخْتِ بیہٕ باوزہ تہنزہ یعنی بایِ سنزہ کورِہ۔ سکہ بای سنزہ تہٕ۔ مالِ بای سنزہ تہٕ۔ ماجہِ بای سنزہ تہٕ۔ بیہٕ بینزہ تہنزہ یعنی بینین ہنزہ کورِہ۔ سکہ بینہ ہنزہ تہٕ مال بینہ ہنزہ تہٕ۔ ماجہ بینہ ہنزہ تہٕ وَ اُمَّهٰتُكُمُ الّٰتِيْۤ اَرْضَعْنَكُمْ بیہٕ چھہ حرام توہہٕ پیٹھہ تہنزہ تمہٕ ماجہ یمو توہہٕ دود دیتمت آسہٕ

الْاُخْتِ وَ اُمَّهٰتُكُمُ الّٰتِيْٓ اَرْضَعْنَكُمْ وَ اَخَوٰتُكُمْ مِّنَ الرَّضَاعَةِ وَ اُمَّهٰتُ نِسَآئِكُمْ وَ رَبَآئِبُكُمُ الّٰتِيْ فِيْ حُجُوْرِكُمْ مِّنْ نِّسَآئِكُمُ الّٰتِيْ دَخَلْتُمْ بِهِنَّ ۫ فَاِنْ لَّمْ تَكُوْنُوْا دَخَلْتُمْ بِهِنَّ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ ۫ وَ حَلَآئِلُ اَبْنَآئِكُمُ الَّذِيْنَ مِنْ اَصْلَابِكُمْ ۙ وَ اَنْ تَجْمَعُوْا بَيْنَ الْاُخْتَيْنِ اِلَّا مَا قَدْ سَلَفَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ﴿۲۳﴾ۙ

---

وَاَخَوٰتُكُمْ مِّنَ الرَّضَاعَةِ بيه پڇھو حرام توهہِ۔ تمنِ بينن سيت نڪاح ڪرن يمهِ ڏوڌ چينه سبه ٿهنز بينهِ آسَن سپز مڙه يعني توههِ آسوه تهنزن حقيقي ماجن هُند دود چوُمت يا دوده ماجن هُند دود چوُمت يا آسهِ تمو تهنزن حقيقي ماجن يا دوده ماجن هُند دودٕ چوُمت وَ اُمَّهٰتُ نِسَآئِكُمْ بيه آيهِ حرام ڪرنه توههِ تهنزن زنانن هنزه ماجهِ يعني تهنزه هشهِ، ماسه هشه ته پوپھ هشهِ۔ وَرَبَآئِبُكُمُ الّٰتِيْ فِيْ حُجُوْرِكُمْ مِّنْ نِّسَآئِكُمُ الّٰتِيْ دَخَلْتُمْ بِهِنَّ بيهِ آيهِ حرام ڪرنه توههِ تهنزن تمنِ زنانن هنزه ڪوره تمن سيت توهه خلوتِ صحيحه ڪورمُت آسهِ۔ يمه ڪوره ٿهه رچهان ڇهووڪھ يمهِ ڪورِه تمنِ برونٿهِين خاوندن هنزه آسَن فَاِنْ لَّمْ تَكُوْنُوْا دَخَلْتُمْ بِهِنَّ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ پس هرگاه ٿهه آسوِنه تمنِ سيت خلوتِ صحيحه ڪورمُت تلهِ ڇھو نه ڪانه حرج تهنزن ڪورين سيت نڪاح ڪرنس۔ ڪيازه صرف نڪاح يعني ايجاب و قبول سيتي ڇھنه زنانهِ هندين اصول و فروعن هنز حرمت سپدان۔ بلڪه ڇھه حرمت سپدان خلوتِ صحيحه سيت وَحَلَآئِلُ اَبْنَآئِكُمْ بيهِ ڇھه حرام توهه پيٹھه تهنزن نچوين هنزه منڪوحه زنانه بيه تمهِ زنانه يمن سيت تهند يوِ نچويو ناجائز طريقه همبستري ڪرمڙ آسه۔ الَّذِيْنَ مِنْ اَصْلَابِكُمْ بلڪه تمنِ نچوين هنزه زنانه ڇھه توههِ پيٹھه حرام يم نچو توههِ پننهِ پشتڪِ آسَن۔ منگته نچوين هنزن زنانن سيت نڪاح ڪرن ڇھو جائز۔ يله نه تمهِ زنانه تهندس نڪاحس اندر روزن ڪُنهِ طريقه وَاَنْ تَجْمَعُوْا بَيْنَ الْاُخْتَيْنِ بيه آوَ حرام ڪرنه توههِ پيٹھه دون بينين سيت يڪه وَٹه نڪاح ڪرن اِلَّا مَا قَدْ سَلَفَ مگر يه ڪنيڙهاه امهِ قسمه اسلام اننه برونٹھه گذريومُت ڇھو تتهه سارسي ڇھو عفو۔ آينده خيطره ګرِشهِ احتياط ڪرن اِنَّ اللّٰهَ كَانَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا پزپاٹھه الله تعالىٰ ڇھو سيٹھاه مغفرت

وَّالْمُحْصَنٰتُ مِنَ النِّسَآءِ اِلَّا مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ ۚ كِتٰبَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ ۚ وَاُحِلَّ لَكُمْ مَّا وَرَآءَ ذٰلِكُمْ اَنْ تَبْتَغُوْا بِاَمْوَالِكُمْ مُّحْصِنِيْنَ غَيْرَ مُسٰفِحِيْنَ ؕ فَمَا اسْتَمْتَعْتُمْ بِهٖ مِنْهُنَّ فَاٰتُوْهُنَّ اُجُوْرَهُنَّ فَرِيْضَةً ؕ وَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ فِيْمَا تَرٰضَيْتُمْ بِهٖ مِنْۢ بَعْدِ الْفَرِيْضَةِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيْمًا حَكِيْمًا ﴿۲۴﴾ وَمَنْ لَّمْ يَسْتَطِعْ مِنْكُمْ طَوْلًا اَنْ يَّنْكِحَ الْمُحْصَنٰتِ الْمُؤْمِنٰتِ فَمِنْ مَّا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ مِّنْ

کرہ ون سیٹھاہ رحم کرہؤن وَّالْمُحْصَنٰتُ مِنَ النِّسَآءِ بیہ چھو حرام آمُت کرنہ توہہ پیٹھہ تمن زنانن سیت نِکاح کرن یمن خاوند موجود آسن اِلَّا مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ مگر نہ تمہ زنانہ یمن تہہ مالک سپدِو۔ یمہ تہنز ہ کینزہ سپدن تمنے خاوند زِندہ تہ آسن دارالحربس اندر۔ تمہِ چھہ حلال كِتٰبَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ تمے احکام چھہِ لیکھمت اللہ تعالیٰ ان توہہ پیٹھہ وَاُحِلَّ لَكُمْ مَّا وَرَآءَ ذٰلِكُمْ بیہ آیہ حلال کرنہ تہندِہ خیطرہ تمہ سارے زنانہ تمہِ تموزنانو ورای چھہ اَنْ تَبْتَغُوْا بِاَمْوَالِكُمْ اینکہ ژھانڈیوک تہہ تمہِ زنانہ پنہ نیو دیاروبدل مُّحْصِنِيْنَ غَيْرَ مُسٰفِحِيْنَ درحالیکہ گُنہہ نشہ بچہ وُنِ آسوِ۔ گنہ کرہونِ آسونہ یعنی باقاعدہ ایجاب و قبول کرِت مہر مقرر کرت دون شاہدن برونٹھہ کنہ بیہ نِکاح کرنہ فَمَا اسْتَمْتَعْتُمْ بِهٖ مِنْهُنَّ پس تموزنانو منزہ تمن نشہ توہہ نفع تلوہ یعنی نفسچ خواہش پورہ کرِوہ فَاٰتُوْهُنَّ اُجُوْرَهُنَّ فَرِيْضَةً پس دِیوِ تمنِ تہند مہرہ یُس مقرر کرنہ آمُت چھو وَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ فِيْمَا تَرٰضَيْتُمْ بِهٖ مِنْۢ بَعْدِ الْفَرِيْضَةِ بیہ چھونہ توہہِ کانہ گُناہ تتھہ چیزس پیٹھہ یتھہ پیٹھہ تہہ باژہ پانہ وانِ راضی سپدِو۔ عقدِ نِکاحہ وِزہ کانہہ چیز مقرر کرنہ پتہ۔ زیادتی کرتو یا کمی کرتو کُنہِ چیزس منز تمیک چھو توہہِ اختیار اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيْمًا حَكِيْمًا پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھو سورُوی زانان۔ تس چھو معلوم تہند فائدہ تہ نفع کتھہ چیزس منز چھو۔ تمی مناسبتہ چھو سُو احکام تہندِہ خیطرہ جاری کران سُو چھو سیٹھاہ حکمتہ وول۔ حکمت چھو سُو احکام پنِن توہہِ پیٹھہ مقرر کران اگرچہ توہہِ متہ ترتن فکرِہ۔ وَمَنْ لَّمْ يَسْتَطِعْ مِنْكُمْ طَوْلًا اَنْ يَّنْكِحَ الْمُحْصَنٰتِ الْمُؤْمِنٰتِ بیہِ یُس اکھاہ

فَتَيٰتِكُمُ الْمُؤْمِنٰتِ ؕ وَاللّٰهُ اَعْلَمُ بِاِيْمَانِكُمْ ؕ بَعْضُكُمْ مِّنْۢ بَعْضٍ ۚ فَانْكِحُوْهُنَّ بِاِذْنِ اَهْلِهِنَّ وَاٰتُوْهُنَّ اُجُوْرَهُنَّ بِالْمَعْرُوْفِ مُحْصَنٰتٍ غَيْرَ مُسٰفِحٰتٍ وَّلَا مُتَّخِذٰتِ اَخْدَانٍ ۚ فَاِذَآ اُحْصِنَّ فَاِنْ اَتَيْنَ بِفَاحِشَةٍ فَعَلَيْهِنَّ نِصْفُ مَا عَلَى الْمُحْصَنٰتِ مِنَ الْعَذَابِ ؕ ذٰلِكَ لِمَنْ خَشِيَ الْعَنَتَ مِنْكُمْ ؕ وَاَنْ تَصْبِرُوْا خَيْرٌ لَّكُمْ ؕ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ

---

هيڪه نه توهه اَندره باايمان آزاد زنانه سيت نِڪاح ڪَرِت فَمِنْ مَّا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ مِّنْ فَتَيٰتِكُمُ الْمُؤْمِنٰتِ پَس ڪَرِن سُو نِڪاح ڪانسهِ باايمان ڪينزه سيت يوسُه ڪانسهِ مسلمانه سنز ڪينز آسه۔ ڪيازِه ڪينزه هُند مَهرَ چھُو آزاد زنانه هندهِ خوته ڪم آسان۔ ڪينزه سيت نِڪاح ڪرنس منز گڇهنه عار زائُن وَاللّٰهُ اَعْلَمُ بِاِيْمَانِكُمْ الله تعالىٰ سي چھه پُور خبر تُهندهِ ايمانچ۔ ممڪن چھُو سُو ڪينز آسهِ ايمانڪهِ اعتباره تُهندِه کھُوته بهتر۔ تمِيُک پُور علم چھُو الله تعالىٰ اَس۔ پَس رود نسبچه اعتباره تتھ منز چھُو توهه بَعْضُكُمْ مِّنْۢ بَعْضٍ اڈاڈين هند جزو۔ ساري برابر ڪيازه سارِني اِنسانَن هُند اصل چھُو حضرت آدم ته حضرتِ حوا عليهما السلام۔ وۄنِ يلهِ معلوم سپُد عار گڇهنُک چھُو نه ڪانه وجهاه۔ لهٰذا اگر ڇهِ ضرورتچهِ وقته ڪينزَن سيت نِڪاح ڪرن فَانْكِحُوْهُنَّ بِاِذْنِ اَهْلِهِنَّ پَس ڪَرُو نِڪاح ڪينزَن سيت بشرطيڪه تهندين مالڪَن هندِ اجازت ڪَرُو حاصلِ وَاٰتُوْهُنَّ اُجُوْرَهُنَّ بِالْمَعْرُوْفِ بيهِ دِيوُ تِمَن تهند مهره قاعده موجب مُحْصَنٰتٍ غَيْرَ مُسٰفِحٰتٍ وَّلَا مُتَّخِذٰتِ اَخْدَانٍ در حاليڪه تمه ڪينزه آسن پانس راڇھ ڪره وُنين پاڇھ۔ ڇِچھه ڪامه ڪره ونهِ آسن نه۔ نه آسن دوستي ته يار زلا گونهِ ڪانسهِ سيت يعني ژُورِه پاڇھ ڇِچھه ڪامه ڪره ون آسن نه فَاِذَآ اُحْصِنَّ پَس يلهِ تمهِ ڪينزه نيتھر گراڪنه بنن فَاِنْ اَتَيْنَ بِفَاحِشَةٍ پَس هرگه تمهِ پته تمهِ ڪانه ڇِچھه ڪاماه ڪرن فَعَلَيْهِنَّ نِصْفُ مَا عَلَى الْمُحْصَنٰتِ مِنَ الْعَذَابِ پَس چھُو تهنُد سزا تمهِ سزا اُک نصف يُس سزا مقرر ڪرنه آمُت چھُو نيتھره گراڪين آزاد زنانن هُند۔ ذٰلِكَ لِمَنْ خَشِيَ الْعَنَتَ مِنْكُمْ يه ڪينزه سيت نِڪاح ڪرن چھُو تهِندي خيطره تمِن بے نِڪاح روزنڪسِ حالتس اَندر ڇِچھه ڪامين منز مُبتلا سپد نگ خطره آسهِ توهه اَندره وَاَنْ تَصْبِرُوْا خَيْرٌ لَّكُمْ هرگاه

رَّحِيْمٌ ﴿۲۵﴾ يُرِيْدُ اللّٰهُ لِيُبَيِّنَ لَكُمْ وَيَهْدِيَكُمْ سُنَنَ الَّذِيْنَ مِنْ
قَبْلِكُمْ وَيَتُوْبَ عَلَيْكُمْ ؕ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ ﴿۲۶﴾ وَاللّٰهُ يُرِيْدُ اَنْ يَّتُوْبَ
عَلَيْكُمْ ۟ وَيُرِيْدُ الَّذِيْنَ يَتَّبِعُوْنَ الشَّهَوٰتِ اَنْ تَمِيْلُوْا مَيْلًا عَظِيْمًا ﴿۲۷﴾
يُرِيْدُ اللّٰهُ اَنْ يُّخَفِّفَ عَنْكُمْ ۚ وَخُلِقَ الْاِنْسَانُ ضَعِيْفًا ﴿۲۸﴾
يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَاْكُلُوْۤا اَمْوَالَكُمْ بَيْنَكُمْ بِالْبَاطِلِ
اِلَّاۤ اَنْ تَكُوْنَ تِجَارَةً عَنْ تَرَاضٍ مِّنْكُمْ ۟ وَلَا تَقْتُلُوْۤا اَنْفُسَكُمْ ؕ

---

تهه صبر ڪرِ وتهِ ڇهو بهتر تهُندهِ خيطره. تمهِ سيت سپدهِ راڇهِ تهُندس نسلس غلام بنه نشهِ. نته هر گاه صبر ڪرِ دِنه ڪيزن سيتي ڪرِ و نڪاح تلهِ بنن تهُند اولاد غلام تَس شخصه سندِ يم سُنز سو ڪيز آسهِ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ الله تعاليٰ ڇهو مغفرت ڪره وَن. رحمِ ڪره وَن تمنِ يم نه تاب هيڪن ڪرِ تهه. مجبور سپدِ تهه ڪرن ڪيزن سيت نڪاح يُرِيْدُ اللّٰهُ لِيُبَيِّنَ لَكُمْ يژهان ڇهو الله تعاليٰ واره نژاوِ تهه توهِ حلال و حرامڪ احڪام بيان ڪرنِ وَيَهْدِيَكُمْ سُنَنَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ بيهِ ڇهو توهِ هاوان وتهه تمنِ اهل حقن هنز يم توهِ برونٺهه آسِ، تمنِ هندِ قصهِ بيان ڪرِ تهه وَيَتُوْبَ عَلَيْكُمْ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ بيهِ ڇهو سُو برحمت متوجه توهِ ڪُن. الله تعاليٰ ڇهو سيٺاه علمهِ وول سيٺا حڪمته وٗل وَاللّٰهُ يُرِيْدُ اَنْ يَّتُوْبَ عَلَيْكُمْ الله تعاليٰ ڇهو يژهان ڪهِ توهِ ديهِ توفيق توبه ڪرنڪ ته تهُند توبه ڪرهِ قبول. وَيُرِيْدُ الَّذِيْنَ يَتَّبِعُوْنَ الشَّهَوٰتِ مگر يمِ لوڪهِ پيروي ڇهِ ڪران نفسه چن خواهشن تمِ ڇهِ يژهان اَنْ تَمِيْلُوْا مَيْلًا عَظِيْمًا اينڪهِ تهه ڈلوِ سيزِ هِ وَته نشهِ. خدايهِ سندِ يُو حُڪمو نشهِ ووڪه پاٺهِ يُرِيْدُ اللّٰهُ اَنْ يُّخَفِّفَ عَنْكُمْ الله تعاليٰ ڇهو يژهان احڪامن اَندر توهِ پيٺھ بُور لوژراون وَخُلِقَ الْاِنْسَانُ ضَعِيْفًا. انسان ڇهو پيدے ڪرنه آمُت ڪمزور. توَے آےَ نه امسِ پيٺھ تتهه احڪام فرض ڪرنه يم نه سو برداشتي ڪرِ تهه هيڪه ها. يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَاْكُلُوْۤا اَمْوَالَكُمْ بَيْنَكُمْ بِالْبَاطِلِ اي باايمانو مه کھيوِ مال اکهه اڪسُند ناجايز طريقه پاٺهِ، سوده پاٺهِ، غصبه پاٺهِ ته دهوڪه پاٺهِ اِلَّاۤ اَنْ تَكُوْنَ تِجَارَةً عَنْ تَرَاضٍ مِّنْكُمْ ليڪن هر گاه پانه وانِ رضامندي سان تجارت ڪرِ وُيس شريعته ڪيو

إِنَّ اللَّهَ كَانَ بِكُمْ رَحِيمًا ﴿٢٩﴾ وَمَن يَفْعَلْ ذَٰلِكَ عُدْوَانًا وَظُلْمًا فَسَوْفَ نُصْلِيهِ نَارًا ۚ وَكَانَ ذَٰلِكَ عَلَى اللَّهِ يَسِيرًا ﴿٣٠﴾ إِن تَجْتَنِبُوا كَبَائِرَ مَا تُنْهَوْنَ عَنْهُ نُكَفِّرْ عَنكُمْ سَيِّئَاتِكُمْ وَنُدْخِلْكُم مُّدْخَلًا كَرِيمًا ﴿٣١﴾ وَلَا تَتَمَنَّوْا مَا فَضَّلَ اللَّهُ بِهِ بَعْضَكُمْ عَلَىٰ بَعْضٍ ۚ لِّلرِّجَالِ نَصِيبٌ مِّمَّا اكْتَسَبُوا ۖ وَلِلنِّسَاءِ نَصِيبٌ مِّمَّا اكْتَسَبْنَ ۚ

---

اصولو مُطابق آسہِ تتھہ چھُونہ کانہہ حَرج وَلَا تَقْتُلُوا أَنفُسَكُمْ بیہِ مہ کریُو کھ مارہ پننِ پان۔ یعنی ترٛشھہ کامہِ مہ کرِو تہٕ موسیت تہٕ قتلک سزاوار سپدِو إِنَّ اللَّهَ كَانَ بِكُمْ رَحِيمًا پزٕ پاٹھہِ اللہ تعالیٰ چھُو ہمیشہ تُہہِ پیٹھہ رحمتہٕ وول وَمَن يَفْعَلْ ذَٰلِكَ عُدْوَانًا وَظُلْمًا فَسَوْفَ نُصْلِيهِ نَارًا بیہِ یُس اکھاہ تمِ چیز کرِہ تمو نشہِ ممانعت آیہِ کرنہ سرکشی تہٕ ظُلمہ کِن۔ پَس جلدی واتناوون اَسِ سُونارس اَندر وَكَانَ ذَٰلِكَ عَلَى اللَّهِ يَسِيرًا یہِ چھُو اللہ تعالیٰ اَس نشہِ سہَل تہٕ آسان إِن تَجْتَنِبُوا كَبَائِرَ مَا تُنْهَوْنَ عَنْهُ اَگی لوکو ہرگاہ تُہہ پتھہ رُوزِو بڈیو ممنوع چیزو تہٕ بڈیو گُنہو نشہِ بیہِ کرِو رژہ عملہ نُكَفِّرْ عَنكُمْ سَيِّئَاتِكُمْ بخشالیش کرو اَسِ تہندین لوکٹین گُنہن وَنُدْخِلْكُم مُّدْخَلًا كَرِيمًا بیہِ واتناووہ اسِ تُہہ عزتچہِ جایہ منز سُو گیہِ جنت وَلَا تَتَمَنَّوْا مَا فَضَّلَ اللَّهُ بِهِ بَعْضَكُمْ عَلَىٰ بَعْضٍ بیہِ مہ کرِو آرزو تہٕ تمنا تُہہ ساری مَرد تہٕ زنانہ تمہِ کُنہِ چیزک یمہِ سیت فضیلت دِنہ آو تُوہہِ اندرا ڈین یعنی مردن اڈین پیٹھہ یعنی زنانن پیٹھہ۔ مثلاً مَرد آسُن یا مردن دُگن بوگ آسُن یا دون مَردن ہنز گواہی مکمل آسِن کیازہ لِّلرِّجَالِ نَصِيبٌ مِّمَّا اكْتَسَبُوا مردن ہندِہ خیطرہ چھہ تمنِ عملن ہنز مزورِ تہٕ ثواب مقرّر آخرتس اندر یمہِ تمو کرِہ مژہ آسَن۔ وَلِلنِّسَاءِ نَصِيبٌ مِّمَّا اكْتَسَبْنَ زنانن ہندِہ خیطرہ تہٕ چھہ تمنِ عملن ہنز مزورِ تہٕ ثواب مقرّر آخرتس اندر یمہِ عملہ تمو کرِہ مژہ آسَن۔ آخرتچہِ نجاتُک دارومدار چھُو عملنے پیٹھہ۔ تتھہ منز چھنہ خصوصیت کانسہِ ہندِہ خیطرہ۔ یُس یُتھہ رُت کرِہ دنیاءس اندر تُتھہ رُت لبِہ سُو آخرتس اندر۔ تمنا کرنہ سیت کیاہ بنہِ۔ بلکہ پزٕہِ وَاسْأَلُوا اللَّهَ مِن فَضْلِهِ درخواست کرن تہٕ مَنگُن اللہ تعالیٰ اَس تہند فضل۔ سُوی کڈِہ تُہندِ

وَسْـَٔلُوا اللّٰهَ مِنْ فَضْلِهٖ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمًا ﴿۳۲﴾ وَلِكُلٍّ
جَعَلْنَا مَوَالِيَ مِمَّا تَرَكَ الْوَالِدٰنِ وَالْاَقْرَبُوْنَ ؕ وَالَّذِيْنَ عَقَدَتْ
اَيْمَانُكُمْ فَاٰتُوْهُمْ نَصِيْبَهُمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ شَهِيْدًا ﴿۳۳﴾ ع
اَلرِّجَالُ قَوّٰمُوْنَ عَلَى النِّسَآءِ بِمَا فَضَّلَ اللّٰهُ بَعْضَهُمْ عَلٰى
بَعْضٍ وَّبِمَآ اَنْفَقُوْا مِنْ اَمْوَالِهِمْ ؕ فَالصّٰلِحٰتُ قٰنِتٰتٌ حٰفِظٰتٌ
لِّلْغَيْبِ بِمَا حَفِظَ اللّٰهُ ؕ وَالّٰتِيْ تَخَافُوْنَ نُشُوْزَهُنَّ فَعِظُوْهُنَّ

---

ساری مطلب تہٕ آرزو۔ یہ سُپد نازِل یلہٕ زنانو تمنا کور اَسِ تہٕ ہے مَرد آسہو اَسہٕ تہٕ بنہٕ ہا مردن ہنز ہش مزورِ تہٕ حِصہٕ **اِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمًا** پزٕ پاٹھہ اللہ تعالیٰ چھُو پرٕیتھ چیزاہ پُور زانہٕ وُن **وَلِكُلٍّ جَعَلْنَا مَوَالِيَ مِمَّا تَرَكَ الْوَالِدٰنِ وَالْاَقْرَبُوْنَ** پرٕیتھ کُنہٕ مالہ خیٖرہ یُس مال پتھہ کُن تراوَن مُول مُوج تہٕ رِشتہٕ دار کور اَسہٕ مقرّر تمہٕ مالک وارِث تمن ہُند بیان کرنہ آو۔ **وَالَّذِيْنَ عَقَدَتْ اَيْمَانُكُمْ** وون رُوٗدِ باقی تم لُوکھ تمن سیت توہہٕ مُعاہدہ کورمُت آسوہ **فَاٰتُوْهُمْ نَصِيْبَهُمْ** پَس دِیوٗ تمن پنُن حِصہ یعنی شُیم حِصہٕ **اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ شَهِيْدًا** پزٕ پاٹھ اللہ تعالیٰ چھو پرٕیتھ چیزس پیٹھہ گواہ۔ پرٕیتھ چیزاہ چھُو پانہ وچھان۔ یہ حُکم اوٗس ابتداءس اَندر۔ پتہٕ چھُو یہ حُکم منسوخ آمُت کرنہ بآیہ **وَاُولُوا الْاَرْحَامِ بَعْضُهُمْ اَوْلٰى بِبَعْضٍ** ۔ **اَلرِّجَالُ قَوّٰمُوْنَ عَلَى النِّسَآءِ** مرد چھِہ حاکم پیٹھاولِ زنانن پیٹھہ دویوٗ وجہو **بِمَا فَضَّلَ اللّٰهُ بَعْضَهُمْ عَلٰى بَعْضٍ** اکھ یمہٕ مُوکھ کہ اللہ تعالیٰ اَن چھُو قدرتی فضیلت دِیُتمُت اڈین، اڈین پیٹھہ یعنی مردن زنانن پیٹھ **وَّبِمَآ اَنْفَقُوْا مِنْ اَمْوَالِهِمْ** بیٖیہ یمہٕ مُوکھ کہ تمو مردو چھُو خرچ کورمُت پنُن مال تمن پیٹھہ۔ مہرس منز نان و نفقس منز۔ لہذا اچھ زنانہ مُحتاج مردَن کُن۔ خرچ دِوہ ون سُند اَتھ چھُو بلند تہٕ تھود تسندہ اَتھہ خو تہٕ یُس خرچ دنہٕ ییہ۔ **فَالصّٰلِحٰتُ قٰنِتٰتٌ حٰفِظٰتٌ لِّلْغَيْبِ** پس یمہٕ زنانہ نیک تہٕ رژہ چھہ مَردن ہندِس فضیلتس کُن نظر کرِتھ تہنز فرمانبرداری کران۔ تمہٕ چھہ مردَن ہندہ برونٹھہ کنہٕ نہٕ آسنہ کِس صورتس منز پنہٕ نِس پانس تہٕ مَردہ سندِس سارسی مالَس راچھ تہٕ حفاظت کران۔ **بِمَا حَفِظَ اللّٰهُ**

وَاهْجُرُوْهُنَّ فِي الْمَضَاجِعِ وَاضْرِبُوْهُنَّ ۚ فَإِنْ أَطَعْنَكُمْ فَلَا تَبْغُوْا عَلَيْهِنَّ سَبِيْلًا ۗ إِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيًّا كَبِيْرًا ﴿۳۴﴾ وَإِنْ خِفْتُمْ شِقَاقَ بَيْنِهِمَا فَابْعَثُوْا حَكَمًا مِّنْ أَهْلِهٖ وَحَكَمًا مِّنْ أَهْلِهَا ۚ إِنْ يُّرِيْدَا إِصْلَاحًا يُّوَفِّقِ اللّٰهُ بَيْنَهُمَا ۗ إِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيْمًا خَبِيْرًا ﴿۳۵﴾ وَاعْبُدُوا اللّٰهَ وَلَا تُشْرِكُوْا

---

الله تعالیٰ سندہ راڇه ڪرڻ سيت راڇه ڪرڻ توفيق ڏنہ سيت۔ يا تہ بدل ڪہ الله تعالیٰ ان ڪيا ڇهو تہندين حقوقن ھندہ حفاظتک امر ڪورمت مردن وَالّٰتِيْ تَخَافُوْنَ نُشُوْزَهُنَّ پتھ روزہ تمہ زنانہ تمنِ ھندہ نافرمانی ھُند توھہِ انديشہ آسہ فَعِظُوْهُنَّ پَس ڪَرِو گوڈہ تمنِ زبانی فھمايش تہ نصيحت وَاهْجُرُوْهُنَّ فِي الْمَضَاجِعِ توپتہ ڪريوکھ الگ بستر ونشہ۔ يعنے پانس نشہِ مہ ديُوکھ شونگنہ وَاضْرِبُوْهُنَّ توپتہ لايُو کھ۔ مگر تتھوی يمہِ سيت نہ زخم لگيکھ يا کانہہ تان پھُٹيکھ۔ اعتدالہ سان۔ اتھہِ منزِ ڇهِ ترہ درجہِ (۱) نافرمانی ھندہ خوفہ تہ انديشہ وقتہ گيہ فھمائيش (۲) نافرمانی ظاھر سپدنہِ وقتہ گيہِ جُدائی وتھرِنس اندر (۳) گرِہ گرِہ نافرمانی ڪرنس پيٹھ گوادہ لايُن فَإِنْ أَطَعْنَكُمْ پس ھر گاہ تہنز فرمانبرداری ڪرن فَلَا تَبْغُوْا عَلَيْهِنَّ سَبِيْلًا پس مہ ژھانڈِو تمنِ ناحق ظلم ڪرنہ خيطرہ کانہہ وتھ تہ بہانہ إِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيًّا كَبِيْرًا پُز پاٹھہ الله تعالیٰ ڇهو سيٹھاہ تھود تہ بوڈ۔ تمسُند علم تہ قدرت ڇهہ سيٹھاہ بڈ۔ اگر تُہہ تمنِ زنانن ناحق تکليف واتنوو وہ تيلہ کياہ ڪرِہ الله تعالیٰ تہِ توھہِ پننہِ نافرمانی ڪرنہ موکھہ گرفتار بلا وَإِنْ خِفْتُمْ شِقَاقَ بَيْنِهِمَا پس ھر گاہ کھوژوتُہہ اے حاکمو يا سرپرستو تمنِ دون باژن ھندِس زيادہ مخالفس کنہ قسمہ اصلاح نہ سپدنس فَابْعَثُوْا حَكَمًا مِّنْ أَهْلِهٖ وَحَكَمًا مِّنْ أَهْلِهَا تيلہ سُوزيُوکھ تہُہ مردہ سنديو رشتہ داروٚ اندرہ تہِ اکھ فيصلہ ڪرہ ڈناہ تہ زنانہِ ھنديو رشتہ دارو اندرہ تہِ اکھ فيصلہ ڪرہ وناہ تمن ڇهہ قابليت آسہ إِنْ يُّرِيْدَا إِصْلَاحًا يُّوَفِّقِ اللّٰهُ بَيْنَهُمَا ھرگاہ تمِ دوشوِے فيصلہ ڪرہ ونِ سودلہ اصلاح سپُدن آسن يژھان الله تعالیٰ ديہِ توفيق ملہ ژار ڪرنک تمنِ دون باژن اندر إِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلِيْمًا خَبِيْرًا پز

بِهٖ شَيْـًٔا وَّبِالْوَالِدَيْنِ اِحْسَانًا وَّبِذِي الْقُرْبٰى وَالْيَتٰمٰى وَ
الْمَسٰكِيْنِ وَالْجَارِ ذِي الْقُرْبٰى وَالْجَارِ الْجُنُبِ وَالصَّاحِبِ
بِالْجَنْۢبِ وَابْنِ السَّبِيْلِ ۙ وَمَا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا
يُحِبُّ مَنْ كَانَ مُخْتَالًا فَخُوْرَا ۙ﴿۳۶﴾ اِلَّذِيْنَ يَبْخَلُوْنَ وَيَاْمُرُوْنَ
النَّاسَ بِالْبُخْلِ وَيَكْتُمُوْنَ مَآ اٰتٰىهُمُ اللّٰهُ مِنْ فَضْلِهٖ ؕ وَ
اَعْتَدْنَا لِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابًا مُّهِيْنًا ﴿۳۷﴾ وَالَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ

---

پاٹھہ اللہ تعالیٰ چھو ہمیشہ سورُوی زانہ ڈن۔ سارچی خبر تھاوہ ڈن **وَاعْبُدُوا اللّٰهَ وَلَا تُشْرِكُوْا بِهٖ شَيْـًٔا** بیہ کٔرِو عبادت کُنس خدایہ سنز۔ بیہ مہ ٹھہراویوس شریک کانہہ چیز اادہ سُوانسان آسِتن یا غیر انسان نہ عبادتس اندر نہ تمسند یو خاص صفتو اندرہ گُنہ صفتس اندر۔ سُوزانیون شریک آسنہ نشہِ منزہ تہ پاک **وَّبِالْوَالِدَيْنِ اِحْسَانًا** بیہ کٔرِو ماِلس ماجہ نسبت احسان یعنی رُت معاملہ **وَّبِذِي الْقُرْبٰى** بیہ کٔرِو احسان آشناون سیت **وَالْيَتٰمٰى** بیہ یتیمن سیت **وَالْمَسٰكِيْنِ** بیہ مسکینن نسبت **وَالْجَارِ ذِي الْقُرْبٰى وَالْجَارِ الْجُنُبِ** بیہ نزدیک ہمساین تہ دور ہمساین نسبت **وَالصَّاحِبِ بِالْجَنْۢبِ** بیہ تس رفیقس نسبت یُس بکھہ تِھہ بہتھ آسوہ **وَابْنِ السَّبِيْلِ** بیہ مسافرس نسبت **وَمَا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ** بیہ غلامن کینزن نسبت **اِنَّ اللّٰهَ لَا يُحِبُّ مَنْ كَانَ مُخْتَالًا فَخُوْرَا** یزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھونہ پسند کران تس یُس متکبر آسہِ دلہ کن آسہ پنن پان بوڈ زانان۔ بین آسہ نچہ نظرہ وچھان تھیکہ ڈن آسہ۔ زیوہ سیت آسہِ پنن تعریف پانے کران۔ **اِلَّذِيْنَ يَبْخَلُوْنَ وَيَاْمُرُوْنَ النَّاسَ بِالْبُخْلِ** یِم گے تِم یِم پانہ بخل کران چھہ بیہ چھہ لوکن تہ بخلک تجویز کران **وَيَكْتُمُوْنَ مَآ اٰتٰىهُمُ اللّٰهُ مِنْ فَضْلِهٖ** بیہ چھہِ کھٹت تھاوان تہ یہ کینژھاہ تمن اللہ تعالیٰ ان عطاکورمُت چھوپننہِ فضلہ سیت۔ سوگومال یا نعتِ حضرت پیغمبر آخر الزمان صلی اللہ علیہ وسلم یہُود آس یِم دوشوے چیز کران **وَاَعْتَدْنَا لِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابًا مُّهِيْنًا** بیہ چھو اَسہِ تیار تھومت یتھین ناسپاس کافرن ہندہِ خیطرہ ذلیل کرہ ڈن عذاب **وَالَّذِيْنَ يُنْفِقُوْنَ**

أَمْوَالَهُمْ رِئَآءَ النَّاسِ وَلَا يُؤْمِنُونَ بِاللَّهِ وَلَا بِالْيَوْمِ الْآخِرِ ۗ وَمَن يَكُنِ الشَّيْطَانُ لَهُ قَرِينًا فَسَآءَ قَرِينًا ﴿٣٨﴾ وَمَاذَا عَلَيْهِمْ لَوْ آمَنُوا بِاللَّهِ وَالْيَوْمِ الْآخِرِ وَأَنفَقُوا مِمَّا رَزَقَهُمُ اللَّهُ ۚ وَكَانَ اللَّهُ بِهِمْ عَلِيمًا ﴿٣٩﴾ إِنَّ اللَّهَ لَا يَظْلِمُ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ ۖ وَإِن تَكُ حَسَنَةً يُضَاعِفْهَا وَيُؤْتِ مِن لَّدُنْهُ أَجْرًا عَظِيمًا ﴿٤٠﴾ فَكَيْفَ إِذَا جِئْنَا مِن كُلِّ أُمَّةٍ بِشَهِيدٍ وَجِئْنَا بِكَ عَلَىٰ هَٰؤُلَآءِ شَهِيدًا ﴿٤١﴾

---

أَمْوَالَهُمْ رِئَآءَ النَّاسِ بيهِ تم لوک يم مال پنن خرچ کران پڇهِ لوکن ہاونہ خيطرہ وَلَا يُؤْمِنُونَ بِاللَّهِ بيهِ ڇهنهِ ايمان انان کُنس خدا ايس وَلَا بِالْيَوْمِ الْآخِرِ بيهِ ڇهنہ پڑھ کران پتمس دوہس يعني قيامتس وَمَن يَكُنِ الشَّيْطَانُ لَهُ قَرِينًا فَسَآءَ قَرِينًا بيهِ تمسُند رفيق تہ دوست شيطان آسہِ۔ پس سيٹھاہ ڇھ ڇھو تہُند دوست سُو ڇھو تمنِ کامين ہُند مشورہ دوان يمن کامين ہُند سخت ضرر ڇھو وَمَاذَا عَلَيْهِمْ بيهِ کياہ سنا نقصان گڑھهِ ہا تمنِ کافرن لَوْ آمَنُوا بِاللَّهِ وَالْيَوْمِ الْآخِرِ ہرگاہ تمِ ايمان انہ ہن پڑھ کرہ ہن کنس خدا ايس بيهِ قيامتہ کِس دوہَس وَأَنفَقُوا مِمَّا رَزَقَهُمُ اللَّهُ بيهِ کرہ ہَن خرچ سُو مال يُس الله تعالیٰ نے ديتمُت اوسُکھ وَكَانَ اللَّهُ بِهِمْ عَلِيمًا الله تعالیٰ اس آس گوڈہ پيٹھے يہندہ نيک و بدچ پور خبر۔ تمی موجُب ديکھ سزا إِنَّ اللَّهَ لَا يَظْلِمُ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ پزپاٹھہ الله تعالیٰ ڇھونہ ظلم کران کانسہِ اکس ذرّس برابر وَإِن تَكُ حَسَنَةً يُضَاعِفْهَا بلکہ ڇھو تيوت رحمتہ وول کہ ہرگاہ باايمان بندہ سنز آسہِ اکھ نيکی تتھ ڇھو الله تعالیٰ تمسِ وارياہ گن زيادہ ثواب عطا کران۔ وَيُؤْتِ مِن لَّدُنْهُ أَجْرًا عَظِيمًا بيهِ ڇھو پننہِ طرفہ بطورِ انعام عملن ہندہ معاوضہ ورای بڈ مزورِ عطا کران۔ فَكَيْفَ إِذَا جِئْنَا مِن كُلِّ أُمَّةٍ بِشَهِيدٍ پس کياہ سنا حال سپدہِ تمنِ کافرن ہُند تمہِ وقتہ يمہِ وقتہ اسِ حاضِر کروکھ پرتھ اُمتِچ طرفہ اکھ اکھ گواہ۔ يعني پنُن پنُن پيغمبر وَجِئْنَا بِكَ عَلَىٰ هَٰؤُلَآءِ شَهِيدًا تہ تہِ انوہ تمنِ پنہ نين اُمتين ہندِ گواہ يا رسول الله يَوْمَئِذٍ يَوَدُّ الَّذِينَ كَفَرُوا وَعَصَوُا الرَّسُولَ لَوْ تُسَوَّىٰ بِهِمُ الْأَرْضُ تمہِ دوہہ سپدہِ يہوی حال

يَوْمَئِذٍ يَّوَدُّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَعَصَوُا الرَّسُوْلَ لَوْ تُسَوّٰى
بِهِمُ الْاَرْضُ ؕ وَلَا يَكْتُمُوْنَ اللّٰهَ حَدِيْثًا ۴۲ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ
اٰمَنُوْا لَا تَقْرَبُوا الصَّلٰوةَ وَاَنْتُمْ سُكٰرٰى حَتّٰى تَعْلَمُوْا
مَا تَقُوْلُوْنَ وَلَا جُنُبًا اِلَّا عَابِرِيْ سَبِيْلٍ حَتّٰى تَغْتَسِلُوْا ؕ
وَاِنْ كُنْتُمْ مَّرْضٰۤى اَوْ عَلٰى سَفَرٍ اَوْ جَآءَ اَحَدٌ مِّنْكُمْ مِّنَ
الْغَآئِطِ اَوْ لٰمَسْتُمُ النِّسَآءَ فَلَمْ تَجِدُوْا مَآءً فَتَيَمَّمُوْا

---

کہ تمنّا کرن کافر بیہ یمو نافرمانی کر پیغمبر بر حقہ سنز ہر گہے تمِ زمینس منز دوبرِت۔ تمنِ پیٹھ بیہِ ہاز مین
ہموار کرنہ وَلَا يَكْتُمُوْنَ اللّٰهَ حَدِيْثًا مگر تمہِ سیت ماندکھ کیھنہ پروردگارس نشہِ ہیکن نہ تمِ کانہہ کتھاہ
ژورہ تھاوِتھ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَقْرَبُوا الصَّلٰوةَ وَاَنْتُمْ سُكٰرٰى حَتّٰى تَعْلَمُوْا مَا تَقُوْلُوْنَ
اے باایمانو تُہہ مہ آسوِ مستی تہ بے ہوشی اندر نماز پران۔ بلکہ آسوِ ٹھہران تو تانِ یُعتانِ توہہ ہوش
آسہِ یوان۔ تہ زانُن آسہِ توہہِ تگان کہِ تُہہ کیاہ چھوہ نمازہِ منز پران۔ یا گو مطلب نماز پرنچہِ جایہ مہ آسوِ
نزدیک سپدان درحالتِ سُکر و بیہوشی۔ یعنی مسجدن منز مہ آسوِ اژان اتھ حالس منز۔ (یہ آیہ کریمہ
چھو شراب حرام سپدنہ برونٹھ نازِل سپدُمت) وَلَا جُنُبًا بیہِ مہ آسوِ بے غسلی ہندِس حالس منز نماز
پران اِلَّا عَابِرِيْ سَبِيْلٍ مگرے ٹھہرنہ ورای فقط پکُن آسوہ مسجدِہ منز حَتّٰى تَغْتَسِلُوْا یُوتانِ نہ
غسل کران آسوِ وَاِنْ كُنْتُمْ مَّرْضٰۤى بیہِ ہرگاہ تُہہ بیمار آسوِ یتھہ بیماری اندر آب استعمال کُرن مُضر آسہِ
تُہندِہ خیطرہ اَوْ عَلٰى سَفَرٍ یا آسوِ مسافر اَوْ جَآءَ اَحَدٌ مِّنْكُمْ مِّنَ الْغَآئِطِ یا بیہِ توہہِ اندرہ کانژھاہ
بیتُ الخلانشہِ فارغ سپدِت، فضلات دفع کُرتھہ۔ اَوْ لٰمَسْتُمُ النِّسَآءَ یا سپدِ وِتُہہ نزدیک زنانن نشہِ یمہِ
سیت غسل پُھٹِوہ فَلَمْ تَجِدُوْا مَآءً پس لبونہ تُہہ آب یمہِ سیت غسل یا طہارت کُرہو۔ فَتَيَمَّمُوْا
صَعِيْدًا طَيِّبًا پس قصد تہ ارادہ کُرِو تُہہ پاک میژہِ ہُند فَامْسَحُوْا بِوُجُوْهِكُمْ پس اکھ ژنڈ دِنہ پتہ
دِیوِ پھش بتھین پنہ نین وَاَيْدِيْكُمْ دویم ژنڈ دِتھہ دیو پھش نرین پنہ نین اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَفُوًّا غَفُوْرًا

صَعِيْدًا طَيِّبًا فَامْسَحُوْا بِوُجُوْهِكُمْ وَاَيْدِيْكُمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ
عَفُوًّا غَفُوْرًا ﴿۴۳﴾ اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ اُوْتُوْا نَصِيْبًا مِّنَ الْكِتٰبِ
يَشْتَرُوْنَ الضَّلٰلَةَ وَيُرِيْدُوْنَ اَنْ تَضِلُّوا السَّبِيْلَ ﴿۴۴﴾ ؕ وَاللّٰهُ
اَعْلَمُ بِاَعْدَآئِكُمْ ؕ وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَلِيًّا ۙ وَّكَفٰى بِاللّٰهِ نَصِيْرًا ﴿۴۵﴾
مِنَ الَّذِيْنَ هَادُوْا يُحَرِّفُوْنَ الْكَلِمَ عَنْ مَّوَاضِعِهٖ وَ
يَقُوْلُوْنَ سَمِعْنَا وَعَصَيْنَا وَاسْمَعْ غَيْرَ مُسْمَعٍ وَّرَاعِنَا

---

پڙ پاڙهه الله تعالىٰ ڇھو سيٽھاه عفو کره ڏون سيٽھاه مغفرت کره ڏون۔ پس پروردگار سُند شان يه ڇھُو، سُو ڇھو بندن َ پيٹھه سهل احکام نازِل کران يَس شخص نشهِ آب دُور آسهِ اَڪس ميلس تَس ڇھُ تيمّم کرنک اِجازت۔ اَده سُو مسافِر آسِتن يا مُقيم آسِتن شرعي ميل گوڙُور ساس اَته يعني زه ساس گز اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ اُوْتُوْا نَصِيْبًا مِّنَ الْكِتٰبِ آيا وچهان ڇھوه نا تمن لُوکن کُن يمن کِتابهِ منزه يعني توراتکهِ علمه منزه اکھ حِصه آوَ دِنه يعني يه ڇھه بنظر تعجب ڈچھنس لايق اکھ کتهاه يَشْتَرُوْنَ الضَّلٰلَةَ مُلِ ڇھهِ هيوان تم گمراهي يعني کُفر ڇھهِ اختيار کران وَيُرِيْدُوْنَ اَنْ تَضِلُّوا السَّبِيْلَ پانه آسِ تمِ ڈليتي مگر تمِ ڇھهِ يژهان تهِه تهِ گژهو گمراه سپَد تهِ سيزهِ وته نشهِ ڈلن۔ وَاللّٰهُ اَعْلَمُ بِاَعْدَآئِكُمْ بيهِ ڇھُو الله تعالىٰ اَس پورُ معلُوم تهُندين دُشمن هُند۔ يعني تهُندِ دُشمن کم ڇھهِ توَے ڇھُو سُو توهِه آگاه کران وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَلِيًّا کافي ڇھُو الله تعالىٰ تهُند دوست ته رفيق وَّكَفٰى بِاللّٰهِ نَصِيْرًا الله تعالىٰ ڇھُو کافي تهُند مددگار مِنَ الَّذِيْنَ هَادُوْا يُحَرِّفُوْنَ الْكَلِمَ عَنْ مَّوَاضِعِهٖ يمن هنز ذکر کرنه آيهِ تمِ ڇھهِ يُهُودَ منزه۔ تمِ تغير دِوان ڇھهِ توراته کين معاملاتن۔ ڈالان ڇھهِ تمن کلماتن پنه نيو حالَو نشهِ۔ معنيوته مطلبو نشهِ وَيَقُوْلُوْنَ سَمِعْنَا وَعَصَيْنَا وَاسْمَعْ غَيْرَ مُسْمَعٍ وَّرَاعِنَا بيهِ ڇھهِ وَنان بُوزاسهِ کَنَو سيت مگر مُون نه اَسهِ کيهنه۔ بُوزِ تُهه بوزناونهِ مه ايو بيه کُرِ وسُون رعايت لَيًّا بِاَلْسِنَتِهِمْ تِمِ چيز ڇھهِ وَنان زيوپٹن گول مول کَرِ تهه۔ لهجه بَدِ لاوِ تهه۔ لهجه تحقيره بدل لهجه توقير کرِ تهه يُتهنه لوکن فکرِه تره وَطَعْنًا فِى الدِّيْنِ بيهِ دين

لَيًّا بِأَلْسِنَتِهِمْ وَطَعْنًا فِي الدِّينِ ۚ وَلَوْ أَنَّهُمْ قَالُوا سَمِعْنَا
وَأَطَعْنَا وَاسْمَعْ وَانْظُرْنَا لَكَانَ خَيْرًا لَهُمْ وَأَقْوَمَ وَ
لَٰكِنْ لَعَنَهُمُ اللَّهُ بِكُفْرِهِمْ فَلَا يُؤْمِنُونَ إِلَّا قَلِيلًا ﴿٤٦﴾
يَا أَيُّهَا الَّذِينَ أُوتُوا الْكِتَابَ آمِنُوا بِمَا نَزَّلْنَا مُصَدِّقًا لِمَا
مَعَكُمْ مِنْ قَبْلِ أَنْ نَطْمِسَ وُجُوهًا فَنَرُدَّهَا عَلَىٰ أَدْبَارِهَا

---

اسلامس طعنہ زنی کٔرِتھ۔ تِم الفاظ آسِ تِم یہود استعمال کران یمن زہ زہ معنی چھہ۔ اکھ معنی تعریفک۔ بیاکھ معنی مذمتُک مُسلمانن دُھوکہ دِنہ خیطرٕ۔ مُسلمان آسِ تعریفُک معنی مرادبُوزان۔ مگر تِم آسِ پننہِ جایہِ مذمتُک معنی نِوان۔ لفظ راعنا چُھو رعایۃ اندرٕ تہِ رعونتہ اندرٕ تہِ۔ صحابہ صیب آسں رعایتک معنی بُوزان۔ مگر تِم یہُود آسِ پننہِ جایہِ رعُونتک معنی بِوزان۔ بیاکھ معنی چُھو اتھ "پہلِ" سُند۔ تمہِ خیطرٕ آسِ تم عینؔ زیرٕ زیٹھر اوت پران راعینا یعنی ای سانہِ پہلہ۔ گبہ راچھ۔ اَمی سیت آسں طعنہ دوان۔ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم گبہِ راچھہِ وَنان۔ بیہِ آسِ دِینِ اسلامس تہِ طعنہ دوان کہ یہ چُھو اَکس گبہِ راچھہ سُند دین۔ اللہ تعالیٰ چُھو فرماوان وَلَوْ أَنَّهُمْ قَالُوا سَمِعْنَا وَأَطَعْنَا ہرگاہ تِم ونہ ہَن بُوز اَسہِ بیہِ مُون اَسہ وَاسْمَعْ وَانْظُرْنَا بوزِ وحض سُون۔ سانِس حالس کُن کٔرِو نظر لَكَانَ خَيْرًا لَهُمْ البتہ تِیٖ اوس تہندِہ خیطرٕ بہتر وَأَقْوَمَ بیہِ اوس یِی مُناسب وَلَٰكِنْ لَعَنَهُمُ اللَّهُ بِكُفْرِهِمْ مگر اللہ تعالیٰ اَن کرِتِم پننہ رحمتہ نشہِ یہندِہ حق تہ پوز پوشیدہ تھاونہ سببہ دور فَلَا يُؤْمِنُونَ إِلَّا قَلِيلًا پَس اَنَ نہ ایمان تِم مگر کمی کھنہ لُوکھ يَا أَيُّهَا الَّذِينَ أُوتُوا الْكِتَابَ ای تمو لُوکو تِمن کِتاب دِنہ آیہ آمِنُوا بِمَا نَزَّلْنَا ایمان اَنِو پٔرٹھ کٔرِو تتھ کتابہِ یُوسہ اَسہِ نازِل کٔر مُصَدِّقًا لِمَا مَعَكُمْ یوسہ کِتاب تصدیق کران چھہِ تتھ کِتابہِ یُوسہ توہہِ سیت چھہِ یعنی تورات مِنْ قَبْلِ أَنْ نَطْمِسَ وُجُوهًا سُو وقت واتنہٕ برونٹھ کہ اَسِ کیا دِمو تغیر تُہنزن شکلن نَس اَچھہِ تہ بُمبہ تھاوو کھ نہ کُنہِ تہِ فَنَرُدَّهَا عَلَىٰ أَدْبَارِهَا پس بناوو کھ اَسِ بُتھہِ تہندِ تھَر ہی أَوْ نَلْعَنَهُمْ كَمَا لَعَنَّا أَصْحَابَ السَّبْتِ نتہ کرو کھ تِژھی لعنت یِرٹھ بٹہ

اَوْ نَلْعَنَهُمْ كَمَا لَعَنَّآ اَصْحٰبَ السَّبْتِ ؕ وَكَانَ اَمْرُ اللّٰهِ مَفْعُوْلًا ﴿۴۷﴾
اِنَّ اللّٰهَ لَا يَغْفِرُ اَنْ يُّشْرَكَ بِهٖ وَيَغْفِرُ مَا دُوْنَ ذٰلِكَ لِمَنْ
يَّشَآءُ ۚ وَمَنْ يُّشْرِكْ بِاللّٰهِ فَقَدِ افْتَرٰٓى اِثْمًا عَظِيْمًا ﴿۴۸﴾
اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ يُزَكُّوْنَ اَنْفُسَهُمْ ؕ بَلِ اللّٰهُ يُزَكِّيْ مَنْ
يَّشَآءُ وَلَا يُظْلَمُوْنَ فَتِيْلًا ﴿۴۹﴾ اُنْظُرْ كَيْفَ يَفْتَرُوْنَ عَلَى
اللّٰهِ الْكَذِبَ ؕ وَكَفٰى بِهٖٓ اِثْمًا مُّبِيْنًا ﴿۵۰﴾ ع اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ

---

دارہ والین لُوکن کر تمن کئر اسہِ واند رَن ہنز تہ خنزیرن ہنز ہش شکل **وَكَانَ اَمْرُ اللّٰهِ مَفْعُوْلًا** خدایہ سُند یُس حُکم چھُو صادِر سپدان سُو چھُو ضرور پُورہ سپدان **اِنَّ اللّٰهَ لَا يَغْفِرُ اَنْ يُّشْرَكَ بِهٖ** پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو نہ سزادِتھ تہِ مغفرت کران شرکس۔ تَس کیاہ ٹھہراوہ کانہہ شریک۔ بلکہ چھُو مُشرگن دائمی سزاہس اَندر مُبتلاء تھاوان **وَيَغْفِرُ مَا دُوْنَ ذٰلِكَ لِمَنْ يَّشَآءُ** تمہِ ورای چھُو مغفرت کران سارنِ گنہٕن لوکٕن تہِ بڈین تہِ۔ سزادِنہ ورای یَمن یژھہِ تہ تمنِ۔ **وَمَنْ يُّشْرِكْ بِاللّٰهِ فَقَدِ افْتَرٰٓى اِثْمًا عَظِيْمًا** یُس اکھاہ شریک ٹھہراوہِ خدایس۔ پَس بتحقیق نوور اوِہ تمِ گُناہ سیٹھاہ بڈٕ۔ یعنی سُو سپُد بڈٕہ جُرمُک مُرتکب یُس نہ قابلِ مغفر تھی چھُو۔ تُوتان یُوتان نہ شرکہ نشہِ پتھہ روزہِ تہ توبہ کرِہ **اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ يُزَكُّوْنَ اَنْفُسَهُمْ** آیاو چھُان چھُکھناژہ تمنِ لُوکن کُن یِمِ پنٕن پان مقدس تہ پاک زانان چھِہ۔ یِم پانِ پانس تعریف کران چھِہ۔ تمہِ سیت اندیکھہ نہ کیہنہ **بَلِ اللّٰهُ يُزَكِّيْ مَنْ يَّشَآءُ** بلکہ چھُو قابلِ تعریف سُوی یُس خدا پاک کرِہ تہ مُقدس ونہِ۔ **وَلَا يُظْلَمُوْنَ فَتِيْلًا** ظُلم ییہِ نہ کرنہ کانسہِ اَکس تتھہ پنہ پیٹھس برابر تہِ یُس خضر آنچہ ہندِس سَرِ س منز آسان چھُو **اُنْظُرْ كَيْفَ يَفْتَرُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ** وچھہ کتھہ پاٹھہِ چھِہ تِمِ نوور اوان کُنس خدایس پیٹھہ اپُز۔ پنٕن پان مُقدس تہ پاک زاننہ، سیت۔ باوجودِ کُفر و شرک چھِہ تِمِ پنٕن پان مقبول زانان۔ **وَكَفٰى بِهٖٓ اِثْمًا مُّبِيْنًا** یہی کتھ چھہ کافی تِمنِس گنہس مُبتلا آسنہ خیطرہ۔ اَتھہ کُن نظر کٔرِتھ یُس عذاب تِمنِ کرنہ ییہِ سُو چھُو نہ یہندہ جرمہ کھوتہ کیہنہ تہِ زیادہ۔ **اَلَمْ**

أُوتُوا نَصِيبًا مِّنَ الْكِتَٰبِ يُؤْمِنُونَ بِالْجِبْتِ وَالطَّٰغُوتِ وَيَقُولُونَ لِلَّذِينَ كَفَرُوا هَٰٓؤُلَآءِ أَهْدَىٰ مِنَ الَّذِينَ آمَنُوا سَبِيلًا ﴿٥١﴾ أُولَٰٓئِكَ الَّذِينَ لَعَنَهُمُ اللَّهُ ۖ وَمَن يَلْعَنِ اللَّهُ فَلَن تَجِدَ لَهُ نَصِيرًا ﴿٥٢﴾ أَمْ لَهُمْ نَصِيبٌ مِّنَ الْمُلْكِ فَإِذًا لَّا يُؤْتُونَ النَّاسَ نَقِيرًا ﴿٥٣﴾ أَمْ يَحْسُدُونَ النَّاسَ عَلَىٰ مَآ آتَٰهُمُ اللَّهُ مِن فَضْلِهِۦ ۖ فَقَدْ آتَيْنَآ آلَ إِبْرَٰهِيمَ الْكِتَٰبَ وَالْحِكْمَةَ وَآتَيْنَٰهُم مُّلْكًا عَظِيمًا ﴿٥٤﴾

---

تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ اُوْتُوْا نَصِيْبًا مِّنَ الْكِتٰبِ آیاو چھان پھُکھناژہ اے مخاطِب تمن لُوکن کُن یمن کِتابہٕ ہُند یَعنی توراتُک اکھ حِصاہ عطا کرنہٕ آمُت چھُو۔ مگر باوجود آل چھہِ تم يُؤْمِنُوْنَ بِالْجِبْتِ وَالطَّاغُوْتِ پڑھہ کران قریشَن ہندین پُو تیلن بیہ شیطانس وَيَقُوْلُوْنَ لِلَّذِيْنَ كَفَرُوْا و نان چھہِ تم کافرن خوش کرنہ خیطرہ هٰۤؤُلَآءِ اَهْدٰى مِنَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا سَبِيْلًا کہ کافِر چھہِ زیادہ سیزہٕ وَتہِ پیٹھہ بایمانَن ہندِہ خوتہ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ لَعَنَهُمُ اللّٰهُ تیٚ لُوکھ کیاہ گے تم یمن اللہ تعالیٰ اَن لعنت کرِ تم پننہِ رَحمتہ نشہِ دُور کرن وَمَنْ يَّلْعَنِ اللّٰهُ فَلَنْ تَجِدَ لَهٗ نَصِيْرًا یَس اَکِس اللہ تعالیٰ لعنت کرِہ پَس لبہِ ہَن نہ ژہ تِمسندِہ خیطرہ کانہہ مدد گاراہ عذابہِ وقتہ۔ اَمْ لَهُمْ نَصِيْبٌ مِّنَ الْمُلْكِ کِنہ تمن چھہ کُنہِ قسمہ پادشاہت فَاِذًا لَّا يُؤْتُوْنَ النَّاسَ نَقِيْرًا تلہِ تہِ دِہَن نہ تم لُوکن اکھ رژھہ تہِ نقیر چھہِ و نان خصرہ آنچہ پیٹھ یُس زاویل دیل چھُہ آسان اَمْ يَحْسُدُوْنَ النَّاسَ عَلٰى مَاۤ اٰتٰىهُمُ اللّٰهُ مِنْ فَضْلِهٖ بلکہ چھُو تِمن یہُودن حسد لُوکن ہُند بالخصوص نبی کریمہ سُند صلی اللہ علیہ و سلم یتھہ کتھہ پیٹھہ کہ تمن کُور اللہ تعالیٰ اَن عطا پنُن بُوڈ فضل نبوت تہ رسالت بیہ مُتعدد ازواجِ طاہرات فَقَدْ اٰتَيْنَاۤ اٰلَ اِبْرٰهِيْمَ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ وَاٰتَيْنٰهُمْ مُّلْكًا عَظِيْمًا پَس یہ نو کانہہ کتھاہ چھنہ بتحقیق اَسہِ کرنا عطا حضرتِ

فَمِنْهُمْ مَّنْ اٰمَنَ بِهٖ وَمِنْهُمْ مَّنْ صَدَّ عَنْهُ ؕ وَكَفٰى بِجَهَنَّمَ سَعِيْرًا ﴿۵۵﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِاٰيٰتِنَا سَوْفَ نُصْلِيْهِمْ نَارًا ؕ كُلَّمَا نَضِجَتْ جُلُوْدُهُمْ بَدَّلْنٰهُمْ جُلُوْدًا غَيْرَهَا لِيَذُوْقُوا الْعَذَابَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَزِيْزًا حَكِيْمًا ﴿۵۶﴾ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ سَنُدْخِلُهُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَاۤ اَبَدًا ؕ لَهُمْ فِيْهَاۤ اَزْوَاجٌ مُّطَهَّرَةٌ ۫ وَّنُدْخِلُهُمْ ظِلًّا ظَلِيْلًا ﴿۵۷﴾ اِنَّ اللّٰهَ

---

ابراهيمه سندس خاندانس ڪتاب ۽ حڪمت- بيه ڪُر اسه تمن بڏ بادشاهت عطا- تمن اندراوس حضرتِ يُوسف ۽ حضرتِ سُليمان تمن بڏ سلطنت آس بيه حضرتِ داوَد يمن بے شمار نکاح آس **فَمِنْهُمْ مَّنْ اٰمَنَ بِهٖ وَمِنْهُمْ مَّنْ صَدَّ عَنْهُ** پَس تموَ تمه وقتہ کيو يهودوأندره آس اڈيمو تمن پيغمبرن پڑھه ڪُر بيه آس اڈيم کفر وانکارسی پيٹھه رُودِ- تمنِ نشه پهرکهه بُتهه- هرگاه وونِ از کہ وقتہ يهود ۽ توه پڑھ کرن نه يارسول الله تُهه مه حض سپدو آزرده- يه يهنز نوکتهاه چهنه **وَكَفٰى بِجَهَنَّمَ سَعِيْرًا** کافی چھو جهنّم تهندِه زالنه خيطره تمنِ سزادِنه نه خيطره **اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِاٰيٰتِنَا سَوْفَ نُصْلِيْهِمْ نَارًا** پزپاٹھه تموَ لوگو انکار کورسانين آياتن ۽ اَحکامن جلدی واتناوو که اسِ تم نارس اندر **كُلَّمَا نَضِجَتْ جُلُوْدُهُمْ بَدَّلْنٰهُمْ جُلُوْدًا غَيْرَهَا لِيَذُوْقُوا الْعَذَابَ** يلهِ يلهِ بُزنه آسهِ يوان ۽ دزِتهه آسهِ پيوان تهنز ژم- فوراً آسو کهه تتهه ژمهِ بدَل بياکهه ژم پيده کران يُتهه واره آسَن عذابک مزه ژهان **اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَزِيْزًا حَكِيْمًا** پزپاٹھهِ الله تعالیٰ چھو غالِب حکمتہ ڈول **وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ** تموَ لوکو پڑھه ڪُر کُنس خدايَس بيه تهندِس پيغمبرس بيهِ کريکهه رژه عمله **سَنُدْخِلُهُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ** جلدی واتناوو کهه اَسِ تم تمنِ جنتن اندر يموِ منز جويه پکان آسَن **خٰلِدِيْنَ فِيْهَاۤ اَبَدًا** تمنی جنتن اندر روزن تمِ هميشه **لَهُمْ فِيْهَاۤ اَزْوَاجٌ مُّطَهَّرَةٌ** تهندی خيطره آسَن تمنِ جنتن اندر پاک وپاکيزه زنانه **وَّنُدْخِلُهُمْ ظِلًّا ظَلِيْلًا** بيهِ واتناوو کهه اَسِ تم زيٹھس سايَس تَل **اِنَّ اللّٰهَ يَاْمُرُكُمْ اَنْ تُؤَدُّوا الْاَمٰنٰتِ اِلٰۤى اَهْلِهَا** پزپاٹھهِ ای باايمانو الله

يَأْمُرُكُمْ اَنْ تُؤَدُّوا الْاَمٰنٰتِ اِلٰٓى اَهْلِهَا ۙ وَاِذَا حَكَمْتُمْ بَيْنَ النَّاسِ اَنْ تَحْكُمُوْا بِالْعَدْلِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ نِعِمَّا يَعِظُكُمْ بِهٖ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ سَمِيْعًا بَصِيْرًا ﴿۵۸﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَطِيْعُوا اللّٰهَ وَاَطِيْعُوا الرَّسُوْلَ وَاُولِى الْاَمْرِ مِنْكُمْ ۚ فَاِنْ تَنَازَعْتُمْ فِىْ شَىْءٍ فَرُدُّوْهُ اِلَى اللّٰهِ وَالرَّسُوْلِ اِنْ كُنْتُمْ تُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ ؕ ذٰلِكَ خَيْرٌ وَّاَحْسَنُ تَاْوِيْلًا ﴿۵۹﴾ اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ يَزْعُمُوْنَ

تعالیٰ چھُو توہہِ امر کران تمگوی کہ امانت واتناوو تمکس حقدارس وَاِذَا حَكَمْتُمْ بَيْنَ النَّاسِ اَنْ تَحْكُمُوْا بِالْعَدْلِ بیہِ چھُو حُکم کران اللہ تعالیٰ کہ یلہِ تہہ لُوکن منز فیصلہ کرن ہیوان آسو، سُو فیصلہ آسِ زیوہ عدلہ مُوجُب کانسہِ اکسِنز طرفداری ورای کران اِنَّ اللّٰهَ نِعِمَّا يَعِظُكُمْ بِهٖ پزِ پاٹھ اللہ تعالیٰ یمہ کتھِ ہنز توہہِ فہمایش تہ نصیحت چھُو کران کیاہ رٹھ کتھاہ چھہ سو اِنَّ اللّٰهَ كَانَ سَمِيْعًا بَصِيْرًا پزِ پاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو تہ سورُوی بُوزہ ڈن یہ تہہ امانتس متعلق ونانِ چھوہ تہ سورُوی وُچھہِ ڈن یہ تہہ امانتس کران چھوہِ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَطِيْعُوا اللّٰهَ وَاَطِيْعُوا الرَّسُوْلَ اے باایمانو مانو حُکم خدایہ سُند بیہِ پیغمبر خدایہ سُند وَاُولِى الْاَمْرِ مِنْكُمْ بیہِ یم توہہِ منز یعنی مُسلمان تہندِ حاکم آسَن تمن ہندِ احکام تہ مانو فَاِنْ تَنَازَعْتُمْ فِىْ شَىْءٍ پس اگر اختلاف سپدہِ توہہِ کُنہِ امرس منز کہِ یہِ چھا خداو پیغمبر خدایہ سُند حُکم کِنہ چھُو نہ فَرُدُّوْهُ اِلَى اللّٰهِ وَالرَّسُوْلِ پس نیوُن سُو معاملہ خدایس تہ پیغمبر خدایس نشہِ۔ پیغمبر خدا کرن پانےَ تمیُک فیصلہ یہ گوعہدِ رسالتس اندر -- تمن پتہ کرِو پیش ائمہ مجتہدین تہ علماء دِینن سُو معاملہ۔ تم کرن تمیُوک فیصلہ قرآن و حدیثہ موجب اِنْ كُنْتُمْ تُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ چھُوے تہہ پژھ کران خدایس بیہِ پتمس دوہس یعنی قیامتس ذٰلِكَ خَيْرٌ وَّاَحْسَنُ تَاْوِيْلًا یہ اختلافکہِ وقتہ رجُوع کرن قرآن وحدیثس کُن ای چھُو بہتر بیہِ سیٹھاہ رُت انجامہ کِنِ۔ کیازِہ امیُک نتیجہ چھُو دنیاء اَس اندر امن و راحت تہ آخرتس اندر نجات وسعادت اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ يَزْعُمُوْنَ اَنَّهُمْ اٰمَنُوْا بِمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ وَمَآ

أَنَّهُمْ آمَنُوا بِمَا أُنزِلَ إِلَيْكَ وَمَا أُنزِلَ مِن قَبْلِكَ يُرِيدُونَ
أَن يَتَحَاكَمُوا إِلَى الطَّاغُوتِ وَقَدْ أُمِرُوا أَن يَكْفُرُوا
بِهِ ۖ وَيُرِيدُ الشَّيْطَانُ أَن يُضِلَّهُمْ ضَلَالًا بَعِيدًا ﴿٦٠﴾
وَإِذَا قِيلَ لَهُمْ تَعَالَوْا إِلَىٰ مَا أَنزَلَ اللَّهُ وَإِلَى الرَّسُولِ
رَأَيْتَ الْمُنَافِقِينَ يَصُدُّونَ عَنكَ صُدُودًا ﴿٦١﴾ فَكَيْفَ إِذَا
أَصَابَتْهُم مُّصِيبَةٌ بِمَا قَدَّمَتْ أَيْدِيهِمْ ثُمَّ جَاءُوكَ
يَحْلِفُونَ ۖ بِاللَّهِ إِنْ أَرَدْنَا إِلَّا إِحْسَانًا وَتَوْفِيقًا ﴿٦٢﴾ أُولَٰئِكَ

---

أُنزِلَ مِن قَبْلِكَ وچھان چھوٕ ناتھہ یارسول اللہ تِمن لُوکن کُن یِم زیوٕ سیت دعویٰ چھِ کران پڑھ کرنگ تتھ کِتابہِ یُوسہ توہہِ پیٹھ نازِل آیہِ کرنہ بیہِ یہ توہہِ برونٹھ نازِل آوٕ کرنہ یعنی تورات يُرِيدُونَ أَن يَتَحَاكَمُوا إِلَى الطَّاغُوتِ باوجودِ آں چھہِ تِم ارادہ کران کہ فیصل بناوٕن شیطانس وَقَدْ أُمِرُوا أَن يَكْفُرُوا بِهِ حالانکہ تِمن آیو حُکم کرنہ شیطانس اِنکار کرنُک۔ تہند نہ کانہہ چیز مانہ نک وَيُرِيدُ الشَّيْطَانُ أَن يُضِلَّهُمْ ضَلَالًا بَعِيدًا کیازِہ شیطان چھُو یژھان تِمن سیٹھاہ زیچھہ گُمراہی منز مُبتلا کرن وَإِذَا قِيلَ لَهُمْ تَعَالَوْا إِلَىٰ مَا أَنزَلَ اللَّهُ بیہِ یلہِ ونہ چھُویِوان تِمن وَلِو رجُوع کرِو تتھ حُکمس کُن یُس اللہ تعالیٰ ان نازِل کور۔ وَإِلَى الرَّسُولِ بیہِ کرِو رجُوع پیغمبر خدایس کُن تِم یہ فیصلہ کرن تی کرِو منظور رَأَيْتَ الْمُنَافِقِينَ يَصُدُّونَ عَنكَ صُدُودًا وچھُوکھہ تہٕ یارسُول اللہ مُنافق تِمہِ ساتہ اعراض کران تہ بُتھہ پھِران توہہِ برونٹھہ کُن ینہ نشہِ عجیب طریقو فَكَيْفَ إِذَا أَصَابَتْهُم مُّصِيبَةٌ پَس کیاہ سنا حال بنہِ تِمہِ وقتہ یلہِ تِم کُنہِ مُصیبتس گرفتار گژھن بِمَا قَدَّمَتْ أَيْدِيهِمْ تِمہِ ناجائز حرکتہ کہِ شامتہ یوسہ تِمو یہ مُصیبت واتنہ برونٹھہ کرمژ آس۔ یعنی مُقدمک فیصلہ کرناونہِ اَسِ آمت اُکس کافرس نشہِ ثُمَّ جَاءُوكَ يَحْلِفُونَ بِاللَّهِ تِمہ پتہ ینِ توہہِ نِش قسم ہاوان إِنْ أَرَدْنَا إِلَّا إِحْسَانًا وَتَوْفِيقًا کہِ اَسہِ اُوس

الَّذِيْنَ يَعْلَمُ اللّٰهُ مَا فِيْ قُلُوْبِهِمْ فَاَعْرِضْ عَنْهُمْ وَعِظْهُمْ
وَقُلْ لَّهُمْ فِيْٓ اَنْفُسِهِمْ قَوْلًاۢ بَلِيْغًا ﴿٦٣﴾ وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ
رَّسُوْلٍ اِلَّا لِيُطَاعَ بِاِذْنِ اللّٰهِ ؕ وَلَوْ اَنَّهُمْ اِذْ ظَّلَمُوْٓا اَنْفُسَهُمْ
جَآءُوْكَ فَاسْتَغْفَرُوا اللّٰهَ وَاسْتَغْفَرَ لَهُمُ الرَّسُوْلُ
لَوَجَدُوا اللّٰهَ تَوَّابًا رَّحِيْمًا ﴿٦٤﴾ فَلَا وَرَبِّكَ لَا يُؤْمِنُوْنَ
حَتّٰى يُحَكِّمُوْكَ فِيْمَا شَجَرَ بَيْنَهُمْ ثُمَّ لَا يَجِدُوْا فِيْٓ اَنْفُسِهِمْ
حَرَجًا مِّمَّا قَضَيْتَ وَيُسَلِّمُوْا تَسْلِيْمًا ﴿٦٥﴾ وَلَوْ اَنَّا كَتَبْنَا

---

نہ اِرادہ امہِ اَندرہ مگر رُٺوی۔ ہیءِ اڈس اَسہِ ارادہ دون منزگرشھہِ مُوافقت سپدنِ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ يَعْلَمُ اللّٰهُ
مَا فِيْ قُلُوْبِهِمْ تمِ گے تمے کہ اللہ تعالیٰ ہی چھو زانان تہندین دِلن منزگمہِ قُسمک نِفاق تہ کُفر چھو
فَاَعْرِضْ عَنْهُمْ وَعِظْهُمْ وَقُلْ لَّهُمْ فِيْٓ اَنْفُسِهِمْ قَوْلًاۢ بَلِيْغًا پَس کروتہہ تمن نشہِ درگذر بیہ کریُوکھ تمہِ
حرکژتراونچ نصیحت۔ بیہِ فرماویُوکھ پننہِ جایہ موثرکلاماہ یمہ حرکژتراونس متعلّق وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ رَّسُوْلٍ
اِلَّا لِيُطَاعَ بِاِذْنِ اللّٰهِ بیہِ سُوزنہ اَسہِ کانہہ پیغمبراہ مگریمی خیطرہ کہِ تہُند حُکم یِیہ مانِنہ خدایہِ سندہ حُکمہ
سیت وَلَوْ اَنَّهُمْ اِذْ ظَّلَمُوْٓا اَنْفُسَهُمْ جَآءُوْكَ بیہِ یمہ ساتہ یموٗنافرمانی کرِتھہ پننہ نین پانن ظُلم کریُوہر گاہ
توہہِ نشہِ آسہ ہَن آمت نادِم تہ پشیمان گژِھتھہ فَاسْتَغْفَرُوا اللّٰهَ پَس منگہ ہَن مغفرت خدایس
وَاسْتَغْفَرَ لَهُمُ الرَّسُوْلُ بیہِ منگہ ہایہندِہ خیطرہ مغفرت پیغمبر برحق تہِ یعنی تُہہ تہِ منگہِ ہو تہندہ خیطرہ
دعایِ مغفرت لَوَجَدُوا اللّٰهَ تَوَّابًا رَّحِيْمًا البتہ لبہ ہَن تمِ اللہ تعالیٰ اَس توبہ قُبول کرہ وُن تہ رَحم
کرہ وُن فَلَا وَرَبِّكَ لَا يُؤْمِنُوْنَ حَتّٰى يُحَكِّمُوْكَ فِيْمَا شَجَرَ بَيْنَهُمْ پَس قَسم چھُو تہُندِس پروردگارہ
سُند ہرگز چھنہ تمِ باایمان یَوتتان نہ تُہی اتھہِ فیصلہ آسن کرہ ناوان پننہ نین تنازعن اَندر ثُمَّ لَا يَجِدُوْا
فِيْٓ اَنْفُسِهِمْ حَرَجًا مِّمَّا قَضَيْتَ توپتہ آسن نہ کُنہِ قِسمہ دِل تنگ سپدان تُہندِہ فیصلہ سیت وَيُسَلِّمُوْا

عَلَيْهِمْ اَنِ اقْتُلُوْٓا اَنْفُسَكُمْ اَوِ اخْرُجُوْا مِنْ دِيَارِكُمْ مَّا
فَعَلُوْهُ اِلَّا قَلِيْلٌ مِّنْهُمْ ؕ وَلَوْ اَنَّهُمْ فَعَلُوْا مَا يُوْعَظُوْنَ
بِهٖ لَكَانَ خَيْرًا لَّهُمْ وَاَشَدَّ تَثْبِيْتًا ﴿٦٦﴾ وَّاِذًا لَّاٰتَيْنٰهُمْ مِّنْ
لَّدُنَّآ اَجْرًا عَظِيْمًا ﴿٦٧﴾ وَّلَهَدَيْنٰهُمْ صِرَاطًا مُّسْتَقِيْمًا ﴿٦٨﴾
وَمَنْ يُّطِعِ اللّٰهَ وَالرَّسُوْلَ فَاُولٰٓئِكَ مَعَ الَّذِيْنَ اَنْعَمَ
اللّٰهُ عَلَيْهِمْ مِّنَ النَّبِيّٖنَ وَالصِّدِّيْقِيْنَ وَالشُّهَدَآءِ وَالصّٰلِحِيْنَ ۚ
وَحَسُنَ اُولٰٓئِكَ رَفِيْقًا ﴿٦٩﴾ ذٰلِكَ الْفَضْلُ مِنَ اللّٰهِ ؕ وَكَفٰى

---

تَسْلِيْمًا بلکہ آسن پورہ پاٹھہ سو فیصلہ مانان تہ تسلیم کران وَلَوْ اَنَّا كَتَبْنَا عَلَيْهِمْ اَنِ اقْتُلُوْٓا اَنْفُسَكُمْ
اَوِ اخْرُجُوْا مِنْ دِيَارِكُمْ بیہ ہرگاہ اسِ تمنِ حُکم کرہو کہ ماریُوکھ پان پنن یا نیرو پنہ نیو شہرو
اندرہ مَّا فَعَلُوْهُ اِلَّا قَلِيْلٌ مِّنْهُمْ تتھہ حُکمس کرہ ہَن نہ تعمیل مگر تموأندرہ کمی لُوکھ وَلَوْ اَنَّهُمْ فَعَلُوْا
مَا يُوْعَظُوْنَ بِهٖ لَكَانَ خَيْرًا لَّهُمْ وَاَشَدَّ تَثْبِيْتًا بیہ ہرگاہ تمِ عمل کرہ ہَن تمنِ نصیحتن پیٹھہ یمہِ نصیحژ
تمنِ کرنہ چھہ یوان۔ البتہ سیٹھاہ جان اُوس تہندہِ خیطرہ۔ بیہ اُوس زیادہ بہتر تہندہِ ایمانکہِ درِہ رہ خیطرہ
وَّاِذًا لَّاٰتَيْنٰهُمْ مِّنْ لَّدُنَّآ اَجْرًا عَظِيْمًا بیہ گرہَو تتھہ صورتس اندر اسِ تمنِ پننہِ طرفہ بڈ مزورِ عطا۔
وَّلَهَدَيْنٰهُمْ صِرَاطًا مُّسْتَقِيْمًا بیہ ہاوہ ہوکھہ اسِ ضرور وتھاہ سیزٕ جنتس واتنچ۔ وَمَنْ يُّطِعِ اللّٰهَ
وَالرَّسُوْلَ بیہ تمِ لُوکھ حُکم مانن خدایہ سُند بیہ پیغمبر خدایہ سُند فَاُولٰٓئِكَ مَعَ الَّذِيْنَ اَنْعَمَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ
پَس تمے لُوکھہ آسن تتھہ جماعتس سیت یمن اللہ تعالیٰ اَن پُنن انعام عطاکور مِّنَ النَّبِيّٖنَ وَالصِّدِّيْقِيْنَ
وَالشُّهَدَآءِ وَالصّٰلِحِيْنَ تمِ گے حضراتِ انبیاء بیہ صدیق، بیہ شُہداء۔ بیہ، نیکوکار۔ وَحَسُنَ اُولٰٓئِكَ
رَفِيْقًا کیاہ رٕژ چھہ تمنِ حضراتن ہنز رفاقت ذٰلِكَ الْفَضْلُ مِنَ اللّٰهِ بیہ چھُو یہِ خدایہ سُندی فضل
وَكَفٰى بِاللّٰهِ عَلِيْمًا پَس چھُو اللہ تعالیٰ ہی پُور زانن وُول يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا خُذُوْا حِذْرَكُمْ ای

بِاللّٰهِ عَلِيْمًا ﴿۷۰﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا خُذُوْا حِذْرَكُمْ فَانْفِرُوْا ثُبَاتٍ اَوِ انْفِرُوْا جَمِيْعًا ﴿۷۱﴾ وَاِنَّ مِنْكُمْ لَمَنْ لَّيُبَطِّئَنَّ ۚ فَاِنْ اَصَابَتْكُمْ مُّصِيْبَةٌ قَالَ قَدْ اَنْعَمَ اللّٰهُ عَلَيَّ اِذْ لَمْ اَكُنْ مَّعَهُمْ شَهِيْدًا ﴿۷۲﴾ وَلَئِنْ اَصَابَكُمْ فَضْلٌ مِّنَ اللّٰهِ لَيَقُوْلَنَّ كَاَنْ لَّمْ تَكُنْۢ بَيْنَكُمْ وَبَيْنَهٗ مَوَدَّةٌ يّٰلَيْتَنِيْ كُنْتُ مَعَهُمْ فَاَفُوْزَ فَوْزًا عَظِيْمًا ﴿۷۳﴾ فَلْيُقَاتِلْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ الَّذِيْنَ يَشْرُوْنَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا بِالْاٰخِرَةِ ۭ وَمَنْ يُّقَاتِلْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ

---

باايمانو بچاوَ پنن کرِو ھتھيار۔ سلاح سامانہ پنن آسوِپاس سيت ٹلان فَانْفِرُوْا ثُبَاتٍ اَوِ انْفِرُوْا جَمِيْعًا اَدہ آستو نيران جماژو جماژويا آستو نيران اِکہ وَٹہ گُنی جماعت وَاِنَّ مِنْكُمْ لَمَنْ لَّيُبَطِّئَنَّ بيہِ چھہِ پزِپاٹھہِ توہہِ منزہ بعضی یِم ضرور جہادہ خیطرہ نیرنَس منز سُستی کران چھہِ۔ پتھہ روزان چھہِ فَاِنْ اَصَابَتْكُمْ مُّصِيْبَةٌ توپتہ ہرگاہ توہہِ جہادس منز کیھنہ تکلیف واتان چھو قَالَ قَدْ اَنْعَمَ اللّٰهُ عَلَيَّ اِذْ لَمْ اَكُنْ مَّعَهُمْ شَهِيْدًا ونان چھو سُو شخص تمہِ ساتہ بیشک خُدا ین کرمیہ پیٹھہ مہربانی کہ بہ اوسُس نہ جہاد کُرنہِ دَرامُت تمنِ سيت وَلَئِنْ اَصَابَكُمْ فَضْلٌ مِّنَ اللّٰهِ لَيَقُوْلَنَّ توپتہ ہرگاہ تُہہ کانہہ فضلاہ تہ مہربانیاہ خُدایہِ سندہ طرفہ واتان چھو یعنی فتح تہ غنیمت تمہِ ساتہ چھُو ونان كَاَنْ لَّمْ تَكُنْۢ بَيْنَكُمْ وَبَيْنَهٗ مَوَدَّةٌ زَن نہ توہہِ سيت کُنہی تعلّق چُھس مُحبتُک مال اَتھہ گژھنَس پیٹھہ افسوس کُرتھہ يّٰلَيْتَنِيْ كُنْتُ مَعَهُمْ فَاَفُوْزَ فَوْزًا عَظِيْمًا کاش کہ بہ تے آسہا تمنی سيت۔ میہ تہِ سپدِہ ہابڈٕ کامیابی حاصِل۔ اللہ تعالیٰ چھُوس فرماوان۔ بڈٕ کامیابی حاصِل کرنچ یلہِ خواہش کانسہِ آسہِ فَلْيُقَاتِلْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ الَّذِيْنَ يَشْرُوْنَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا بِالْاٰخِرَةِ سُو کرِن تلہِ جہاد خُدایہ سنزِہ وتہِ اَندر۔ کلمہ اسلامکہِ تھزرہ خیطرہ۔ نہایت ایمانداری تہ اِخلاصہ سان، نفاق تراوِتھہ۔ تمنِ کافرن سيت یِم دُنیاہچ زندگی چھہِ مَلِ ہیوان

فَيُقْتَلْ اَوْ يَغْلِبْ فَسَوْفَ نُؤْتِيْهِ اَجْرًا عَظِيْمًا ﴿۷۴﴾ وَمَا لَكُمْ لَا تُقَاتِلُوْنَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ وَالْمُسْتَضْعَفِيْنَ مِنَ الرِّجَالِ وَالنِّسَآءِ وَالْوِلْدَانِ الَّذِيْنَ يَقُوْلُوْنَ رَبَّنَآ اَخْرِجْنَا مِنْ هٰذِهِ الْقَرْيَةِ الظَّالِمِ اَهْلُهَا ۚ وَاجْعَلْ لَّنَا مِنْ لَّدُنْكَ وَلِيًّا ۚ وَّاجْعَلْ لَّنَا مِنْ لَّدُنْكَ نَصِيْرًا ﴿۷۵﴾ اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا يُقَاتِلُوْنَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ۚ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا

---

آخر تَس بَدَل وَمَنْ يُّقَاتِلْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ فَيُقْتَلْ اَوْ يَغْلِبْ فَسَوْفَ نُؤْتِيْهِ اَجْرًا عَظِيْمًا یُس اکھاہ جهاد کرِہ خدایہ سنزِہ وتہٕ اندر پَس ییہِ مارنہ یا سپدِہ سُوی غالِب۔ دوشونِ حالتَن اندر گرواُسِ تَس عطا بڈمزورِ آخرتَس اندر وَمَا لَكُمْ لَا تُقَاتِلُوْنَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بیہ کیاہ عُذر چھو توہہِ کہ تُہہٕ چھوہ نہ جهاد کران خدایہ سنزِہ وتہٕ اَندر۔ حالانکہ جهاد کرنُک سبَب چھو مُوجود۔ سُو گوڈنی پروردگار سندِہ کلمہ کہِ تھزرہ خیطرہ تمہٕ علاوہ چھُو بیا کھ وجہ کہ وَالْمُسْتَضْعَفِيْنَ مِنَ الرِّجَالِ وَالنِّسَآءِ وَالْوِلْدَانِ الَّذِيْنَ يَقُوْلُوْنَ رَبَّنَآ اَخْرِجْنَا مِنْ هٰذِهِ الْقَرْيَةِ الظَّالِمِ اَهْلُهَا کمزور با ایمانَن ہندِہ حفاظت خیطرہ تہٕ چھُو جهاد کرن ضروری۔ یُتھہ تمِ کافرن ہندِہ ظُلمہ تہٕ ستمہ نشہِ آزاد سپدَن۔ تِمَن منز کینہہ مَردچھہ، کینہہ زنانہ چھہ تہٕ کینہہ لوکٹ چھہِ۔ تمِ کافرن ہندیو ظُلمو سبَبہ پریشان سپدِن دُعا کران چھہ۔ بعاجزی مَگان چھہِ اَی سانہِ پروردگار اَسہِ کڈ تہٕ تمہِ شہرہ اندرہ نیبر۔ یمکِ لُوکھ سخت ظالم چھہِ۔ تمِ اَسہِ رنگارنگ مُصیبتن گرفتار کران چھہِ۔ وَاجْعَلْ لَّنَا مِنْ لَّدُنْكَ وَلِيًّا وَّاجْعَلْ لَّنَا مِنْ لَّدُنْكَ نَصِيْرًا بیہِ تُلتَن ژہ سانہِ خیطرہ پنہٕ طرفہ کانہہ دُوستاہ۔ بیہ سُوزتن ژہ سانہِ خیطرہ پنہٕ طرفہ کانہہ مددگاراہ یُس اَسہِ تِمَن ظالمن ہندِہ ظُلمہ نشہِ مُوکلاوہ ہا۔ اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا يُقَاتِلُوْنَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ تِمو لوکو پورہِ ایمان اَون کُنِس خُدائس تمِ چھہِ تمِ اَحکام بُوزتھہ جهاد کران خدایہ سنزِہ وتہٕ اندر محض تھندی رضا خیطرہ۔ تھندِہ کلمہ کہِ تھزرہ خیطرہ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا يُقَاتِلُوْنَ فِيْ سَبِيْلِ الطَّاغُوْتِ تِمو کُفر تہٕ انکار

يُقَاتِلُوْنَ فِيْ سَبِيْلِ الطَّاغُوْتِ فَقَاتِلُوْٓا اَوْلِيَآءَ الشَّيْطٰنِ ۚ
اِنَّ كَيْدَ الشَّيْطٰنِ كَانَ ضَعِيْفًا ﴿۷۶﴾ اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ قِيْلَ
لَهُمْ كُفُّوْٓا اَيْدِيَكُمْ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ ۚ فَلَمَّا كُتِبَ
عَلَيْهِمُ الْقِتَالُ اِذَا فَرِيْقٌ مِّنْهُمْ يَخْشَوْنَ النَّاسَ كَخَشْيَةِ
اللّٰهِ اَوْ اَشَدَّ خَشْيَةً ۚ وَقَالُوْا رَبَّنَا لِمَ كَتَبْتَ عَلَيْنَا الْقِتَالَ ۚ لَوْ
لَآ اَخَّرْتَنَآ اِلٰٓى اَجَلٍ قَرِيْبٍ ۗ قُلْ مَتَاعُ الدُّنْيَا قَلِيْلٌ ۚ وَالْاٰخِرَةُ

---

کور تمِ چھِ جنگ کران شیطانہ سندِ خیطر ہ یعنی کُفر کہِ غلبہ خیطر ہ فَقَاتِلُوْٓا اَوْلِيَآءَ الشَّيْطٰنِ پٔس جہاد کٔرِ و تُہہ ای باایمانو شیطانہ سندِین یارَن سیت یعنی کافِرَن سیت۔ یقین تھاوِو کہِ اِنَّ كَيْدَ الشَّيْطٰنِ كَانَ ضَعِيْفًا پزِ پاٹھِ شیطانہ سنزٕ چالہ چھِ گوڈٕ پیٹھے سُست تہٕ کمزور۔ اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ قِيْلَ لَهُمْ كُفُّوْٓا اَيْدِيَكُمْ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ توہہِ ڈ‍ُچھِ وَ کھنا تمِ لُوکھ تِمَن وَننہ آیو جنگ مہ کٔرِ و اَتھہ پَننِ رٹِو تِمہِ نشہِ پتھہ۔ سَرِ دَست تِم حُکم توہہِ کٔرنہ یِوان چھِ تِمَن پیٹھہ کرِو عمل۔ نماز پروِ پابندی سان بیہ دِیو زکوٰۃ۔ مگر تِم آسِ بے تابِی سان جہادُک اِجازت طلب کران فَلَمَّا كُتِبَ عَلَيْهِمُ الْقِتَالُ ادہ یلہِ تِمَن پیٹھہ جہاد فرض کرنہ آوَ اِذَا فَرِيْقٌ مِّنْهُمْ يَخْشَوْنَ النَّاسَ كَخَشْيَةِ اللّٰهِ تمہِ وقتہٕ لج اکھ جماعت تِموی اَندرہ لُوکن یعنی مکہ کین کافِرن تِتھوی کھوژنہِ یُتھہ خدایُس شوبہِ ہاکھوژُن اَوْ اَشَدَّ خَشْيَةً بلکہِ تِمہِ خوتہٕ زیادٕے وَقَالُوْا وَننہِ لگِ دِلہ سیت یا زیوہِ سیت رَبَّنَا لِمَ كَتَبْتَ عَلَيْنَا الْقِتَالَ خدایا اَسہِ پیٹھہ کیازِہ کورُتھہ ژہٕ وُنِ جہاد فرض لَوْلَآ اَخَّرْتَنَآ اِلٰٓى اَجَلٍ قَرِيْبٍ اَسہِ کونہ دِژایتھہ ژہٕ مُہلت کُنہِ وَقتس تام قُلْ مَتَاعُ الدُّنْيَا قَلِيْلٌ وَالْاٰخِرَةُ خَيْرٌ لِّمَنِ اتَّقٰى فرماویُو کھ تُہہِ یارسول اللہ دُنیاء ک تمتع چھُو سیٹھاہ کم۔ آخرت چھُو سیٹھاہ بہتر تِمَن ہندِ خیطر ہ یِم خدایہِ سنزِ ہ نافرمانی نشہِ پتھہ روزَن۔ سۄ آخرت حاصِل کرنہ خیطر ہ چھُو بہترین ذریعہ جہاد۔ وَلَا تُظْلَمُوْنَ فَتِيْلًا توہہِ ہرگز کُنہِ قِسمُک ظُلم یِیہ نہ کرنہ اَکِس پَنہ داوِہ برابر تہٕ۔ ایژِ عمل کرِ و تیُوت یِیو ثواب عطا کرنہ۔ عملو اَندرہ چھُو جہاد کرن خدایہِ سندِ رضا خیطر ہ

خَيْرٌ لِّمَنِ اتَّقٰى ۫ وَلَا تُظْلَمُوْنَ فَتِيْلًا ﴿۷۷﴾ اَيْنَ مَا تَكُوْنُوْا
يُدْرِكْكُّمُ الْمَوْتُ وَلَوْ كُنْتُمْ فِيْ بُرُوْجٍ مُّشَيَّدَةٍ ؕ وَاِنْ تُصِبْهُمْ
حَسَنَةٌ يَّقُوْلُوْا هٰذِهٖ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ ۚ وَاِنْ تُصِبْهُمْ سَيِّئَةٌ
يَّقُوْلُوْا هٰذِهٖ مِنْ عِنْدِكَ ؕ قُلْ كُلٌّ مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ ؕ فَمَالِ
هٰۤؤُلَآءِ الْقَوْمِ لَا يَكَادُوْنَ يَفْقَهُوْنَ حَدِيْثًا ﴿۷۸﴾ مَاۤ اَصَابَكَ مِنْ
حَسَنَةٍ فَمِنَ اللّٰهِ ۫ وَمَاۤ اَصَابَكَ مِنْ سَيِّئَةٍ فَمِنْ نَّفْسِكَ ؕ وَاَرْسَلْنٰكَ

---

بڈ عمل۔ اَمہِ نشہِ کیازہ چھوکھہ پنَنِ پان محروم کران۔ کیاہ تُہہ چھوہ مُوتَس تہ مرنَس کھوژان مُوتہ خیطرہ یُس وقت مُقرر کرنہ آمُت چھو تمہِ نشہِ ہیکہِ نہ کانہہ تہِ بچتھہ اَیْنَ مَا تَكُوْنُوْا يُدْرِكْكُّمُ الْمَوْتُ وَلَوْ كُنْتُمْ فِيْ بُرُوْجٍ مُّشَيَّدَةٍ ؕ یتہِ آسوِ تُہہ تہِ تتہِ، ضرور واتہِ توہہِ مُوت اگرچہ آستوتُہہ چونہِ سُرخی سیت مضبوط تہ مُحکم کرنہ آمتین قلاین تہ مکانَن اندر وَاِنْ تُصِبْهُمْ حَسَنَةٌ يَّقُوْلُوْا هٰذِهٖ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ بیہِ ہر گاہ واتان چھہ تمن مُنافقن نعمتاہ ۔ وَنان چھہِ تمہِ ساتہ یہِ نعمت واژاز طرفِ خدا، اتفاقاً۔ نہ تہ مُسلمانَن ہُند طاقت اوسنہ کنہِی وَاِنْ تُصِبْهُمْ سَيِّئَةٌ يَّقُوْلُوْا هٰذِهٖ مِنْ عِنْدِكَ بیہِ یلہِ واتان چھہ تمن کانہہ سختیاہ جنگس اَندر تمہِ ساتہ چھہِ دَپان یہِ واژاسہِ تُہندہ طرفہ۔ تہندہ بے تدبیری سیت۔ گرن منز آسِ آرامہ سان خوامخواہ کڈوہ گرَواندرہ قُلْ كُلٌّ مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ تُہہ فرماویُکھہ مُیون چھونہ اتھہ اندر کُنہِی دَخل۔ سورُوی چھُو خدایہِ سندِی طرفہ فَمَالِ هٰۤؤُلَآءِ الْقَوْمِ لَا يَكَادُوْنَ يَفْقَهُوْنَ حَدِيْثًا پَس کیاہ گو تمن مُنافقن تمَنِ چھنہ اَکھہ کتھہ تہِ تران فکِرہ مَاۤ اَصَابَكَ مِنْ حَسَنَةٍ فَمِنَ اللّٰهِ حقیقت چھہ یُیٔ کہ اے اِنسان یہِ کینژھاہ واتان چھُوے ژہ یہِ رُت رُت سُو چھُو خدایہِ سندہ طرفہ سُوی چھُوے عطا کران پننہِ فضلہ سیت وَمَاۤ اَصَابَكَ مِنْ سَيِّئَةٍ فَمِنْ نَّفْسِكَ بیہِ یہِ کینژھاہ واتان چھُوی ژہ یہِ خراب تہِ تیچھہ تہِ چھُوی پننہ نی طرفہ کیازِہ سبَب تمُیوک چھُو چانہِ تیچھہ عملہ تہ نافرمانی وَاَرْسَلْنٰكَ لِلنَّاسِ رَسُوْلًا اَسہِ حضِ سُوزِوہ تُہہ واقعی لُوکن کُن پیغمبر برحق۔ منافق تہ کافر متہ مانتن وَكَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًا بَس چھو

لِلنَّاسِ رَسُوْلًا ؕ وَكَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًا ﴿۷۹﴾ مَنْ يُّطِعِ الرَّسُوْلَ فَقَدْ اَطَاعَ اللّٰهَ ۚ وَمَنْ تَوَلّٰى فَمَآ اَرْسَلْنٰكَ عَلَيْهِمْ حَفِيْظًا ؕ ﴿۸۰﴾ وَيَقُوْلُوْنَ طَاعَةٌ ۫ فَاِذَا بَرَزُوْا مِنْ عِنْدِكَ بَيَّتَ طَآئِفَةٌ مِّنْهُمْ غَيْرَ الَّذِىْ تَقُوْلُ ؕ وَاللّٰهُ يَكْتُبُ مَا يُبَيِّتُوْنَ ۚ فَاَعْرِضْ عَنْهُمْ وَتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ ؕ وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَكِيْلًا ﴿۸۱﴾ اَفَلَا يَتَدَبَّرُوْنَ الْقُرْاٰنَ ؕ وَلَوْ كَانَ مِنْ عِنْدِ غَيْرِ اللّٰهِ لَوَجَدُوْا فِيْهِ اخْتِلَافًا

---

گواہ اَمہِ کتھہِ ہُند اللہ تعالیٰ مَنْ يُّطِعِ الرَّسُوْلَ فَقَدْ اَطَاعَ اللّٰهَ یُس اکھاہ حُکم مانہِ پیغمبر برحقہ سُند تمی مُون حُکم خدایہِ سُند۔ یمِ نافرمانی کُر تھنز تم کرنا فرمانی اللہ تعالیٰ سنز۔ یتھہ پاٹھہِ اللہ تعالیٰ سنز اطاعت کُرنِ عقلاً تہِ واجب چھہ تتھے پاٹھہِ چھہ رسُولِ کریمہ سنز اطاعت کرنِ تہِ عقلاً واجب۔ وَمَنْ تَوَلّٰى فَمَآ اَرْسَلْنٰكَ عَلَيْهِمْ حَفِيْظًا بیہِ یُس اکھاہ بُتھہ پھرہ تہ اعراض کرہ کرِ تن۔ تہٕ مہ حض کھیو تمیک غم۔ پس سُو زِ وہ نہ اَسہِ تہٕ تھندہ خیطرہ راچھہِ کہِ تہٕ مہ دیوِ تمنِ ہر گز گھر کرنہ۔ وَيَقُوْلُوْنَ طَاعَةٌ بیہِ چھہِ تمِ منافق ونان توہہِ بروٹھہ کنہِ سان کام چھہ حُکم مانُن۔ فرمانبرداری کرنِ فَاِذَا بَرَزُوْا مِنْ عِنْدِكَ بَيَّتَ طَآئِفَةٌ مِّنْهُمْ غَيْرَ الَّذِىْ تَقُوْلُ پَس یلہِ نیران چھہِ توہہِ نشہِ رات کیُت چھہ اکھ جماعت تمِو اَندرہ یعنی تھندِ زِٹھہِ تھندِس فرماونس بدَل کرہ نک مشورہ کران وَاللّٰهُ يَكْتُبُ مَا يُبَيِّتُوْنَ اللہ تعالیٰ چھو لیکھان تہِ سورُوی یہِ تمِ راتکیُت توہہِ خلاف سازِشہِ کران چھہِ موقعس پیٹھہ دِیکھہ سُو خُوب سزا۔ فَاَعْرِضْ عَنْهُمْ پَس مہ کرو تھنزن بے ہودگین کُن کانہہ خیال تہ التفات وَتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ تہٕ پُشرا وِ وِیہ معاملہ خدایَس تَس پیٹھہ کرِ وِتہٕ اعتماد وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَكِيْلًا بَس چھُو اللہ تعالیٰ تھُند وکیل تہ کارساز اَفَلَا يَتَدَبَّرُوْنَ الْقُرْاٰنَ کیازِہ چھہِنہ تمِ مُنافِق تامل تہ غور کران قرآن مجیدس اندر، اَمِچ فصاحت و بلاغت وچھان۔ کوتاہ تھدِہ درجہِ چھُو یہ فصیح و بلیغ۔ اَتھہ منز چھہ تمہِ خبرہ یمہِ چیزچ دلالت چھہِ کران کہ چھُو بیشک کلام خدا وَلَوْ كَانَ مِنْ عِنْدِ غَيْرِ اللّٰهِ لَوَجَدُوْا فِيْهِ اخْتِلَافًا كَثِيْرًا ہرگاہ ہے یہ قرآن

كَثِيْرًا ﴿۸۲﴾ وَاِذَا جَآءَهُمْ اَمْرٌ مِّنَ الْاَمْنِ اَوِ الْخَوْفِ اَذَاعُوْا بِهٖ ؕ
وَلَوْ رَدُّوْهُ اِلَى الرَّسُوْلِ وَاِلٰٓى اُولِى الْاَمْرِ مِنْهُمْ لَعَلِمَهُ الَّذِيْنَ
يَسْتَنْۢبِطُوْنَهٗ مِنْهُمْ ؕ وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَتُهٗ لَاتَّبَعْتُمُ
الشَّيْطٰنَ اِلَّا قَلِيْلًا ﴿۸۳﴾ فَقَاتِلْ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ۚ لَا تُكَلَّفُ اِلَّا
نَفْسَكَ وَحَرِّضِ الْمُؤْمِنِيْنَ ۚ عَسَى اللّٰهُ اَنْ يَّكُفَّ بَاْسَ الَّذِيْنَ

---

مجید آسہاخد ایس ورای بیہِ کانسہِ ہندہِ طرفہ ضرور لبہٕ ہَن تمِ تلہِ تتھہ منز واریاہ اِختلاف باعتبار فصاحت و
بلاغت تہِ تہٕ پوشیدہ حالات بیان کرنکہ اعتبارہ تہٕ وَاِذَا جَآءَهُمْ اَمْرٌ مِّنَ الْاَمْنِ اَوِ الْخَوْفِ اَذَاعُوْا بِهٖ بیہِ
یلہِ واتان چھہ تِمَن نشِ کانہہ خبراہ اَمنچ یا خوفچ سو خبر چھہِ تمِ شائع کران تحقیقہ ورای۔ تتھہ منز چھہ
نیران واریاہ خبرہ بے بُنیاد تہٕ بے اصل وَلَوْ رَدُّوْهُ اِلَى الرَّسُوْلِ وَاِلٰٓى اُولِى الْاَمْرِ مِنْهُمْ ہر گاہ ہے سُو
معاملہ تمِ پیش کرہ ہَن پیغمبر برحق صلی اللہ علیہ و سلّمن نشِہ یا تِمَن لُوکن نشِہ یم تمِو اندرہ مُعاملہ شناس
آسِ یعنی اکابر صحُابہ رضی اللہ عنہم لَعَلِمَهُ الَّذِيْنَ يَسْتَنْۢبِطُوْنَهٗ مِنْهُمْ البتہ زانہ ہَن تمِ لُوکھ یم پُورہ
تحقیقات کرہٕ ونِ چھہِ تمِو اَندرہ اَمچ حقیقت کیاہ چھہ تو پتہ یُوسہ کتھہ تمِ مشہُور کرہ نس لایق زانہ ہَن سُوا
یہِ ہا مشہُور کرنہ۔ یوسہ کتھہ نہ تتھہِ لایق آسِہا سُو ییہ ہا محفُوظ تھاونہ وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَتُهٗ
لَاتَّبَعْتُمُ الشَّيْطٰنَ اِلَّا قَلِيْلًا ہر گاہ نے خدایہِ سُندیہ خاص فضل تہٕ رحمت توہہِ پیٹھ آسہا کہِ توہہِ کور
نوہ قرآن مجید عطا۔ توہہِ کُن سُوزُن پنُن پیغمبر برحق نتہ کرہِ ہو تہٕہ سارِی کم کینژو شخصو ورای شیطانہ سنز
مُتابعت فَقَاتِلْ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ پس ای پیغمبر تہٕہ کُر وِ جہاد خدایہ سنزِہ وتہِ اَندر۔ اَمیک مہ بُرِ و پروا
لُوکھ نیرنہ توہہِ سیت جہادس کِنہ نہ لَا تُكَلَّفُ اِلَّا نَفْسَكَ توہہِ چھُونہ مگر پننی کامہِ ہنزِہ ذِمہ داری
ہُند تکلیف دِنہ یِوان۔ لُوکنَ ہنزہ کامہِ ہنز چھنہ توہہِ پیٹھہ کانہہ تہِ ذمہ داری وَحَرِّضِ الْمُؤْمِنِيْنَ تہٕہ
دِیوِ صِرف ترغیب باایمانَن جہاد کرنُک تو پتہ نیرِ تَن جہاد کرنہ خیطرہ کانہہ یامتہ نیرِ تَن تہٕہ سَپدِ وہ خدایس
نشِہ بری الذّمہ۔ عَسَى اللّٰهُ اَنْ يَّكُفَّ بَاْسَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا شاید کہِ اللہ تعالیٰ رٹہِ پتھ کافرَن ہُند قوّت،

كَفَرُوْا ؕ وَاللّٰهُ اَشَدُّ بَاْسًا وَّاَشَدُّ تَنْكِيْلًا ﴿۸۴﴾ مَنْ يَّشْفَعْ شَفَاعَةً حَسَنَةً يَّكُنْ لَّهٗ نَصِيْبٌ مِّنْهَا ۚ وَمَنْ يَّشْفَعْ شَفَاعَةً سَيِّئَةً يَّكُنْ لَّهٗ كِفْلٌ مِّنْهَا ؕ وَكَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ مُّقِيْتًا ﴿۸۵﴾ وَاِذَا حُيِّيْتُمْ بِتَحِيَّةٍ فَحَيُّوْا بِاَحْسَنَ مِنْهَاۤ اَوْ رُدُّوْهَا ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ حَسِيْبًا ﴿۸۶﴾ اَللّٰهُ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ؕ لَيَجْمَعَنَّكُمْ اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ لَا رَيْبَ فِيْهِ ؕ وَمَنْ اَصْدَقُ مِنَ اللّٰهِ حَدِيْثًا ﴿۸۷﴾ ع

---

طاقت تہٕ زور وَاللّٰهُ اَشَدُّ بَاْسًا کیازِہ اللہ تعالیٰ چھُو یژ زیادہ سخت زورہٕ کِن تہٕ طاقتہٕ کِن وَّاَشَدُّ تَنْكِيْلًا بیہِ چھُو زیادہ سخت عذاب کرنہٕ کِنِ نافرمانن مَنْ يَّشْفَعْ شَفَاعَةً حَسَنَةً يَّكُنْ لَّهٗ نَصِيْبٌ مِّنْهَا یُس اکھاہ بیسِ شخصَس سُفارِش تہٕ مدد کرِہ گُنہِ رٕژہ کامہِ اَندر تَس آسہِ تمیک رُت حصہٕ آخرِ تَس اندر وَمَنْ يَّشْفَعْ شَفَاعَةً سَيِّئَةً يَّكُنْ لَّهٗ كِفْلٌ مِّنْهَا بیہِ یُس اکھاہ سُفارِش تہٕ مدد کرِہ بییس شخصَس گُنہِ یچھ کامہِ اندر تَس تہٕ آسہِ تمِکہ سزاُک اَکھ حِصہ آخر تَس اندر وَكَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ مُّقِيْتًا اللہ چھُو پرٚیتھ چیزَس پیٹھ طاقتہٕ وول۔ سُو چھُو پننہِ قدرُتہٕ سیت نیکیِ پیٹھ ثواب عطا کران تہٕ بدیِ پیٹھ سزا دِوان۔ وَاِذَا حُيِّيْتُمْ بِتَحِيَّةٍ فَحَيُّوْا بِاَحْسَنَ مِنْهَاۤ اَوْ رُدُّوْهَا بیہِ یلہِ آسہِ توہہِ ای مُسلمانو تعظیم تہٕ سلام یوان کرنہٕ پَس آسوِ تُہہٕ تمیُک جواب دِوان تمہِ خوتہٕ رتہٕ طریقہ۔ تہٕ نَے توتہِ تتھ ہیُو۔ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ حَسِيْبًا بے شک اللہ تعالیٰ چھُو پرٚیتھ چیزَس پیٹھ باز خواست کرہ وُن تہٕ حِساب ہیوہ وُن اَللّٰهُ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ معبود برحق گو سُوی یُس کانہہ معبود داہ چھُونہٕ تَس ورای لَيَجْمَعَنَّكُمْ اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ ضرور سونبراوِہ سُو توہہِ سارنی قیامتُک دوہ لَا رَيْبَ فِيْهِ کانہہ شکاہ چھُونہٕ تمہِ کِس واقع سپدنَس اندر وَمَنْ اَصْدَقُ مِنَ اللّٰهِ حَدِيْثًا بیہِ کہُہ اکھاہ چھُو خدایہِ سندِہ خوتہٕ زیادہ پزیُور کلام فرماونَس اندر۔ مکہ کیو مُشرکو اندرہ اَکھ جماعتھاہ آیہِ مدینہ منوّرہ تمِوی کور ظاہر یہِ زِ اَسہِ آیہِ مسلمان سپدِت تہٕ ہجرت کرِت۔ توپتہٕ گَیہِ بیہِ واپس حیلہ کورُکھ زِ اَسہِ انو تورہ مالِ تجارت توپتہٕ آی نہٕ واپس کینہہ تہٕ تتہِ سپدِ مُرتد۔ تمن مُتعلق سپزہ

فَمَا لَكُمْ فِى الْمُنٰفِقِيْنَ فِئَتَيْنِ وَاللّٰهُ اَرْكَسَهُمْ بِمَا كَسَبُوْا ؕ
اَتُرِيْدُوْنَ اَنْ تَهْدُوْا مَنْ اَضَلَّ اللّٰهُ ؕ وَمَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ
فَلَنْ تَجِدَ لَهٗ سَبِيْلًا ﴿۸۸﴾ وَدُّوْا لَوْ تَكْفُرُوْنَ كَمَا كَفَرُوْا
فَتَكُوْنُوْنَ سَوَآءً فَلَا تَتَّخِذُوْا مِنْهُمْ اَوْلِيَآءَ حَتّٰى يُهَاجِرُوْا
فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ؕ فَاِنْ تَوَلَّوْا فَخُذُوْهُمْ وَاقْتُلُوْهُمْ حَيْثُ
وَجَدْتُّمُوْهُمْ ۪ وَلَا تَتَّخِذُوْا مِنْهُمْ وَلِيًّا وَّلَا نَصِيْرًا ﴿۸۹﴾ ۙ اِلَّا

---

مُسلمانن زه جماڙ- آڏيو ڏوپ تم ڇه ڪافر اڏيو ڏوپ نه تم ڇهِ مُسلمان- الله تعالىٰ ڇهو فرماوان تم ڇهِ واقعي ڪافر اى مُسلمانو تهه كيازِه ڇهوِه اِختلاف کران اته منز فَمَا لَكُمْ فِى الْمُنٰفِقِيْنَ فِئَتَيْنِ اى مسلمانو پَس کِياه سپدوه توهہ- منافقن هندِس مُعاملس منز كيازه گيهِ توهہِ اندر زه جماڙ- اکھ جماعت ڇهه دَپان تم ڇهِ ڪافر- بياكھ جماعَت ڇهه دَپان تم ڇهِ مُسلمان مُتفق سپدِ وتهندس ڪافر آسنس پيٹھہ- وَاللّٰهُ اَرْكَسَهُمْ بِمَا كَسَبُوْا الله تعالىٰ ان پھِر تمِ واپس کُفرس کُن- پنه نیو تِھه عملو سبب اَتُرِيْدُوْنَ اَنْ تَهْدُوْا مَنْ اَضَلَّ اللّٰهُ كياه تهہ ڇهوِه يژهان وَته هاوِن تمن تمَن وَتھ راوه راو الله تعالىٰ ان وَمَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَلَنْ تَجِدَ لَهٗ سَبِيْلًا يَس وَتھ راوه راوهِ الله تعالىٰ تسندِه خيطره لبِبونه تهہ كانهہ وَتهاه باايمان بنه نِچ وَدُّوْا لَوْ تَكْفُرُوْنَ كَمَا كَفَرُوْا تمِ كياه آسهن مومِن بلکهِ ڇهه تهندِه دِلچ خواهِش كه هرگاه تهہ تِمہ بنِو كافر يتھہ پاٹھہِ تمِ كافر ڇهِ فَتَكُوْنُوْنَ سَوَآءً پَس بنهِ هوِ تهہ سارِى مَعاذ الله برابر كُفرس اَندره ووَن يلهِ تهند خيال توهہ نسبت يہ ڇهوُ فَلَا تَتَّخِذُوْا مِنْهُمْ اَوْلِيَآءَ پس مہ بناويون تمن اندره كانهہ پنن دوست تہ يار حَتّٰى يُهَاجِرُوْا فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ يوتانِ نہ تمِ بيه هجرت کرن محض خدايه سندِه رضا خيطره فَاِنْ تَوَلَّوْا فَخُذُوْهُمْ وَاقْتُلُوْهُمْ حَيْثُ وَجَدْتُّمُوْهُمْ پَس اگر تمِ اسلامہ نشِہ اعراض کرن بُتھہ پھرِن- کُفرسی پیٹھہ بدستور روزن- تلہِ رٹیو کھ تہ ماریُو کھ يتِنس پتيوه تہ تتِنس وَلَا تَتَّخِذُوْا مِنْهُمْ وَلِيًّا وَّلَا نَصِيْرًا هرگز مہ بناويُون تمِو اَندره كانهہ اكھاه نہ دوست تہ نہ مددگار- تمَن نشِہ رُوزِو بالكل

الذين يصلون الى قوم بينكم وبينهم ميثاق او
جاءوكم حصرت صدورهم ان يقاتلوكم او يقاتلوا
قومهم ط ولو شاء الله لسلطهم عليكم فلقتلوكم ج فان
اعتزلوكم فلم يقاتلوكم والقوا اليكم السلم لا فما
جعل الله لكم عليهم سبيلا ﴿٩٠﴾ ستجدون اخرين
يريدون ان يامنوكم ويامنوا قومهم ط كلما ردوا الى

الگ۔ الا الذين يصلون الى قوم بينكم وبينهم ميثاق مگر مه ماريو که تم تم دشمنو نشهِ الگ
سپد تهه الحاق کرن تته قومس سيت تمن سيت توهه صلحک معاهده گورمت آسوه او جاءوكم
حصرت صدورهم ان يقاتلوكم او يقاتلوا قومهم بيه مه ماريو که تم هر گاه تم توهه نش براه
راست صلحه خيطره من يته حالتس اندر که دل تهند آسن توهه سيت لڑای کرنه نشه يا تهنده طرفه پنه نس
قومس سيت لڑای کرنه نشه چونگرنه آمت۔ يعني تم آسن يڑهان غير جانبدار روزن۔ تمن سيت ته مه
گر و جنگ۔ تهه مانويه خدايه سند احسان که تهندين دلن اندر تراو الله تعالى ان تهند هيبت۔ تم آي توهه
نش صلحک درخواست هيته ولو شاء الله لسلطهم عليكم هر گاه خدا يڑه ها تمن کره ها توهه پيڻه مسلط
فلقتلوكم تله کره هن تم توهه سيت مقابله ته جنگ فان اعتزلوكم فلم يقاتلوكم والقوا اليكم
السلم پس يله تم الگ رود توهه سيت جنگ ته لڑای کرنه نشه تمه علاوه سوزکه توهه گن پيغام صلح
فما جعل الله لكم عليهم سبيلا پس اته صورتس اندر تهاونه الله تعالى ان تهنده خيطره تمن
سيت خوامخواه جنگ کرنچ کانهه وتهاه۔ يعني اته صورتس، منز چهونه توهه اجازت تمن سيت جنگ
کرنک ستجدون اخرين يريدون ان يامنوكم ويامنوا قومهم تهه لبيون بيا که جماعتهاه تم
يڑهان چهه توهه نشه ته امنس منز روزن پنهه نس قومس نشه ته امنس منز روزن كلما ردوا الى الفتنة
اركسوا فيها مگر يله يله تمن کانهه فتنس گن واپس نوان چهو فوراچهه بتهه کن تته منز پيوان فان لم

الْفِتْنَةِ أُرْكِسُوا فِيهَا ۚ فَإِن لَّمْ يَعْتَزِلُوكُمْ وَيُلْقُوا إِلَيْكُمُ
السَّلَمَ وَيَكُفُّوا أَيْدِيَهُمْ فَخُذُوهُمْ وَاقْتُلُوهُمْ حَيْثُ
ثَقِفْتُمُوهُمْ ۚ وَأُولَٰئِكُمْ جَعَلْنَا لَكُمْ عَلَيْهِمْ سُلْطَانًا مُّبِينًا ﴿٩١﴾ ع
وَمَا كَانَ لِمُؤْمِنٍ أَن يَقْتُلَ مُؤْمِنًا إِلَّا خَطَأً ۚ وَمَن قَتَلَ مُؤْمِنًا خَطَأً
فَتَحْرِيرُ رَقَبَةٍ مُّؤْمِنَةٍ وَدِيَةٌ مُّسَلَّمَةٌ إِلَىٰ أَهْلِهِ إِلَّا أَن يَصَّدَّقُوا ۚ فَإِن
كَانَ مِن قَوْمٍ عَدُوٍّ لَّكُمْ وَهُوَ مُؤْمِنٌ فَتَحْرِيرُ رَقَبَةٍ مُّؤْمِنَةٍ ۖ وَإِن
كَانَ مِن قَوْمٍ بَيْنَكُمْ وَبَيْنَهُم مِّيثَاقٌ فَدِيَةٌ مُّسَلَّمَةٌ إِلَىٰ أَهْلِهِ

---

يَعْتَزِلُوكُمْ وَيُلْقُوا إِلَيْكُمُ السَّلَمَ وَيَكُفُّوا أَيْدِيَهُمْ پس هر گاه تم توهہ نش الگ روزن نہ پيغام صلح سوزن نہ۔ اتھہ پن پتھ رٹن نہ۔ فَخُذُوهُمْ وَاقْتُلُوهُمْ حَيْثُ ثَقِفْتُمُوهُمْ تلہ کريُوکھ تم گرفتار بيہ ماريُوکھ يتنس پينوہ تہ تتنس وَأُولَٰئِكُمْ جَعَلْنَا لَكُمْ عَلَيْهِمْ سُلْطَانًا مُّبِينًا تم امہ قسمک لوکھ يہندہ خيطرہ دِژاسہ توهہِ دليلاہ صاف تہ رُوشن رٹنس تہ قتل کرنس پيٹھہ وَمَا كَانَ لِمُؤْمِنٍ أَن يَقْتُلَ مُؤْمِنًا إِلَّا خَطَأً بيہ چھونہ جائز کانسہِ باايمانس سُو کياہ مارہ کانسہِ باايمانس مگرے وشفہ پاٹھہِ بغلطی کانہہ کانسہِ مارہ تميک حُکم چھو يہ وَمَن قَتَلَ مُؤْمِنًا خَطَأً فَتَحْرِيرُ رَقَبَةٍ مُّؤْمِنَةٍ وَدِيَةٌ مُّسَلَّمَةٌ إِلَىٰ أَهْلِهِ يُس اکھاہ کانسہِ باايمانس بغلطی مارہ، قتل کرہِ تسُند گرٹھہِ اکھ باايمان غلام ياکينز آزاد کرنِ۔ بيہ گرٹھہِ خُون بہا دِيُن مقتولہ سندِين وارِثن گُن وراثتہ کہِ حصّہ مُوجب إِلَّا أَن يَصَّدَّقُوا مگرے تمِ مقتولہ سندِ وارِث معاف کرن سُو رُوی ياکانہہ حصہ تمہِ منزہ تلہِ نہ کينہہ فَإِن كَانَ مِن قَوْمٍ عَدُوٍّ لَّكُمْ وَهُوَ مُؤْمِنٌ پس هر گاہ مقتول آسہِ دُشمن ہندہ قومہ منزہ مگر آسہِ سُو مقتول پانہ باايمان فَتَحْرِيرُ رَقَبَةٍ مُّؤْمِنَةٍ تلہ چھو قاتلس پيٹھہ مٹہِ صرف باايمان غُلام آزاد کرن بيہ نہ کينہہ وَإِن كَانَ مِن قَوْمٍ بَيْنَكُمْ وَبَيْنَهُم مِّيثَاقٌ هر گاہ مقتول آسہِ تمہِ قومُک يمن سيت توهہِ عهد و پيمان آسہِ فَدِيَةٌ مُّسَلَّمَةٌ إِلَىٰ أَهْلِهِ وَتَحْرِيرُ رَقَبَةٍ مُّؤْمِنَةٍ تلہ چھو قاتلس

وَتَحۡرِيۡرُ رَقَبَةٍ مُّؤۡمِنَةٍ ۚ فَمَنۡ لَّمۡ يَجِدۡ فَصِيَامُ شَهۡرَيۡنِ مُتَتَابِعَيۡنِ ۟ تَوۡبَةً مِّنَ اللّٰهِ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيۡمًا حَكِيۡمًا ﴿۹۲﴾ وَمَنۡ يَّقۡتُلۡ مُؤۡمِنًا مُّتَعَمِّدًا فَجَزَآؤُهٗ جَهَنَّمُ خَالِدًا فِيۡهَا وَغَضِبَ اللّٰهُ عَلَيۡهِ وَلَعَنَهٗ وَاَعَدَّ لَهٗ عَذَابًا عَظِيۡمًا ﴿۹۳﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡۤا اِذَا ضَرَبۡتُمۡ فِىۡ سَبِيۡلِ اللّٰهِ فَتَبَيَّنُوۡا وَلَا تَقُوۡلُوۡا لِمَنۡ اَلۡقٰٓى اِلَيۡكُمُ السَّلٰمَ لَسۡتَ مُؤۡمِنًا ۚ تَبۡتَغُوۡنَ عَرَضَ الۡحَيٰوةِ الدُّنۡيَا فَعِنۡدَ اللّٰهِ مَغَانِمُ كَثِيۡرَةٌ ؕ كَذٰلِكَ كُنۡتُمۡ مِّنۡ

---

پيٺه مٿه اکه خون بها ڏِئڻ مقتوله سنديَن وارثن کي بيهِ باايمان غُلام آزاد کرن فَمَنۡ لَّمۡ يَجِدۡ فَصِيَامُ شَهۡرَيۡنِ مُتَتَابِعَيۡنِ وونِ تمس نه غلام آزاد کرن مُيسر سپدِه تمسُند گرٿهِ دون۔ ريتن پي در پي روزه دار روزُن تَوۡبَةً مِّنَ اللّٰهِ يه ڇهو الله تعالىٰ سندِه طرفه تهندِه حقه توبه وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيۡمًا حَكِيۡمًا الله تعالىٰ ڇهو سورُي زانَن ڈول بوڈ حکمته ڈول۔ وَمَنۡ يَّقۡتُلۡ مُؤۡمِنًا مُّتَعَمِّدًا فَجَزَآؤُهٗ جَهَنَّمُ خَالِدًا فِيۡهَا بيهِ يُس اکهاه قتل کرهِ کانسهِ باايمانس دِيدِه ودانسته تمسُند سزا ڇهو نار جهنّم۔ تته منز روزِه هميشه ابدُ الآباد وَغَضِبَ اللّٰهُ عَلَيۡهِ وَلَعَنَهٗ وَاَعَدَّ لَهٗ عَذَابًا عَظِيۡمًا بيهِ ڇهو تَس پيٺه غضبِ خدا، بيهِ لعنتِ خدا بيهِ ڇهو تهندِه خيطره ٿاوُمت تمِ تيار بُوڈ عذاب يٰۤاَيُّهَا الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡۤا اِذَا ضَرَبۡتُمۡ فِىۡ سَبِيۡلِ اللّٰهِ اى باايمانويلهِ تُهه سَفر آسوِ کران خدايه سنزِهِ وَتهِ اندر يعني جهاد کرنهِ آسوِ نيران فَتَبَيَّنُوۡا وَلَا تَقُوۡلُوۡا لِمَنۡ اَلۡقٰٓى اِلَيۡكُمُ السَّلٰمَ لَسۡتَ مُؤۡمِنًا پس تحقيق آسو کران بيه مه آسوِ تمن يمِ توههِ اسلامى سلام کرن يا کلمهٔ شريف پرَن يمهِ سيت تهُند مُسلمان آسُن ظاهر سپدِه زوره وَنان که تُهه ڇهوِه نه دِله گَنِ مُسلمان تَبۡتَغُوۡنَ عَرَضَ الۡحَيٰوةِ الدُّنۡيَا يته حالَس منز کهِ تُهه آسوِ ژهانڈان دُنياچه زندگی هُند سامان مالِ غنيمت حاصِل کرنه سيت فَعِنۡدَ اللّٰهِ مَغَانِمُ كَثِيۡرَةٌ پس الله تعالىٰ سِى نشهِ ڇهو بيشمار مال سُوى کونه کَرِوِ تُهه جائيز طريقه حاصِل ناجائيز طريقه دُنياء ک مال حاصِل کرن ڇهونا جائيز كَذٰلِكَ كُنۡتُمۡ مِّنۡ قَبۡلُ تهُند حال تهِ اوس يتھوى يعني اِسلامکهِ کلمه وراى اُوسنه توههِ اِسلامُک کانهه علامتھا فَمَنَّ اللّٰهُ عَلَيۡكُمۡ پس تهاو الله تعالىٰ اَن بڈ مِنّت توههِ پيٺه اسلامُک

قَبْلُ فَمَنَّ اللّٰهُ عَلَيْكُمْ فَتَبَيَّنُوْا ۭ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرًا ﴿۹۴﴾
لَا يَسْتَوِي الْقٰعِدُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ غَيْرُ اُولِي الضَّرَرِ وَالْمُجٰهِدُوْنَ
فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ ۭ فَضَّلَ اللّٰهُ الْمُجٰهِدِيْنَ
بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ عَلَى الْقٰعِدِيْنَ دَرَجَةً ۭ وَكُلًّا وَّعَدَ اللّٰهُ
الْحُسْنٰى ۭ وَفَضَّلَ اللّٰهُ الْمُجٰهِدِيْنَ عَلَى الْقٰعِدِيْنَ اَجْرًا عَظِيْمًا ﴿۹۵﴾
دَرَجٰتٍ مِّنْهُ وَمَغْفِرَةً وَّرَحْمَةً ۭ وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا
رَّحِيْمًا ﴿۹۶﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ تَوَفّٰىهُمُ الْمَلٰۗىِٕكَةُ ظَالِمِيْٓ

---

توفيق ڏني سيت فَتَبَيَّنُوْا پس آسوٽهه واره تحقيق ڪران ڪِ تمن لوڪن هند حال ڪياه ڇهو. تم ڇهاڊ شمن ڪنه دوست. هر ه مره گرشهه نه ڪنه قومس پيٺ حمله ڪرن. بيہ ڪرِ وِ غور ڪه ٿهنز حالت ته آس اِبتداءس اندر يزِهي اِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرًا پزپاٺهِ الله تعالیٰ ڇهو پورزانان يہ ٿهه ڪران ڇهوہ لَا يَسْتَوِي الْقٰعِدُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ غَيْرُ اُولِي الضَّرَرِ ڇهنہ برابر باايمانو اندره تم تم ڪنہ عذر ه وراءِ جهادس نير نه نشہ پتهه روزن. وَالْمُجٰهِدُوْنَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ بيہ تم محض خدايہ سند ه خيطره مال وجانه سيت جهاد ڪرن. فَضَّلَ اللّٰهُ الْمُجٰهِدِيْنَ بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ عَلَى الْقٰعِدِيْنَ دَرَجَةً فضيلت ديُت خدا ين مال وجانه سيت جهاد ڪره وين، جهاده نشہ پتهه روزه وين نشہ درجس ته مرتبس منز وَكُلًّا وَّعَدَ اللّٰهُ الْحُسْنٰى اگرچہ دوشونِ ڇهو الله تعالیٰ ان رتہ ثوابک وعده عطا ڪورمت ايمانه سببہ وَفَضَّلَ اللّٰهُ الْمُجٰهِدِيْنَ عَلَى الْقٰعِدِيْنَ اَجْرًا عَظِيْمًا مگر فضيلت ديُت خدا ين جهاد ڪره وين تمہ نشہ پتهه روزه وين پيٺه بجہ مزوره سيت دَرَجٰتٍ مِّنْهُ وَمَغْفِرَةً وَّرَحْمَةً تم ڇهِ پروردگاره سندِ ه طرفه درجات تم سو تمن عطا ڪرِ ه بيہ گرُن تمن عطا مغفرت ته رحمت. وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا الله تعالیٰ ڇهو سيٺهاه مغفرت ڪره وُن سيٺهاه رحم ڪره وُن اِنَّ الَّذِيْنَ تَوَفّٰىهُمُ الْمَلٰۗىِٕكَةُ ظَالِمِيْٓ اَنْفُسِهِمْ قَالُوْا فِيْمَ كُنْتُمْ

اَنْفُسِهِمْ قَالُوْا فِيْمَ كُنْتُمْ ؕ قَالُوْا كُنَّا مُسْتَضْعَفِيْنَ
فِي الْاَرْضِ ؕ قَالُوْٓا اَلَمْ تَكُنْ اَرْضُ اللّٰهِ وَاسِعَةً فَتُهَاجِرُوْا
فِيْهَا ؕ فَاُولٰٓئِكَ مَاْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ ؕ وَسَآءَتْ مَصِيْرًا ۙ﴿۹۷﴾
اِلَّا الْمُسْتَضْعَفِيْنَ مِنَ الرِّجَالِ وَالنِّسَآءِ وَالْوِلْدَانِ
لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ حِيْلَةً وَّلَا يَهْتَدُوْنَ سَبِيْلًا ۙ﴿۹۸﴾
فَاُولٰٓئِكَ عَسَى اللّٰهُ اَنْ يَّعْفُوَ عَنْهُمْ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ

---

پزِ پاٹھِ یلہِ تِمن گرِہ بہہ وِنین، جہادس نہ نیرہ وِنین، تِہمَوِ پانِ پانَس ظُلم کور ترکِ ہجرت کرنہ سیت قبض رُوح کرنہ خیطرہ ملایک یِوان چھِہ۔ تِم پِھکِھہ پرِژھان تِہ کَتھہ حالَس منز آسوِہ قَالُوْا كُنَّا مُسْتَضْعَفِيْنَ فِي الْاَرْضِ تِم پِھکِھہ جواب دِوان اَسِ آس کمزوری تہٕ بے بَسی ہندِس حالتَس اندر۔ دُشمن ہندِہ خوفہ آس نہ ہیکان پنہ نین اِسلامی عقایدن پیٹھہ عمل کٔرِتھ۔ ضروریاتِ دین تہٕ شعایرِ اسلام بجا اَنِتھ قَالُوْٓا ملایک پِھکِھہ دِپان اَلَمْ تَكُنْ اَرْضُ اللّٰهِ وَاسِعَةً فَتُهَاجِرُوْا فِيْهَا کِیاہ خدایہِ سُند زمین اوسُنا کھول۔ تُہہٕ ہیکِہ ہوِنا بیہ کُنہ جایہ گژھِ ہجرت کٔرِتھ تِمن پھُورنہ امیک جواب۔ فَاُولٰٓئِكَ مَاْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ وَسَآءَتْ مَصِيْرًا پَس تِمن لُوکن ہنز جای چھِہ جہنّم۔ کاژاہ ژِھچھ جایا چھِہ سو تِہندِہ واتنہ خیطرہ اِلَّا الْمُسْتَضْعَفِيْنَ مِنَ الرِّجَالِ وَالنِّسَآءِ وَالْوِلْدَانِ مگر چھِہ مُستثنیٰ اَمہِ نشہِ تِم تِم واقعی کمزور نہ ہیکہ وِنِ آسن۔ مردَو اندرہ زنانَو اندرہ تہٕ لوکٹیو شُریو اندرہ لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ حِيْلَةً وَّلَا يَهْتَدُوْنَ سَبِيْلًا تِم نہ ہیکہ ہَن کُنہِ حیلہ سیت اَمہِ شہرہ اندرہ ژلِتھ نہ ایہ ہا تِمن کانہہ وَتھاہ ژلنہ خیطرہ وَتہِ نشہِ بے خبری سبَبہ فَاُولٰٓئِكَ عَسَى اللّٰهُ اَنْ يَّعْفُوَ عَنْهُمْ پَس تِم تِم چھِہ تِہندِہ حقہ چھِہ اُمید کہِ اللہ تعالیٰ کرِہ تِمن معاف وَكَانَ اللّٰهُ عَفُوًّا غَفُوْرًا اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ معاف کرٕنَن سیٹھاہ مغفرت کرٕنَن وَمَنْ يُّهَاجِرْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ يَجِدْ فِي الْاَرْضِ مُرٰغَمًا كَثِيْرًا وَّسَعَةً بیہِ یُس اکھاہ ہجرت کرِہ خدایہِ سنزِہ وَتہِ اندر سُو لبِہ زمینَس اندر وارِیاہ جای بسنہ

عَفُوًّا غَفُوْرًا ﴿٩٩﴾ وَمَنْ يُّهَاجِرْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ يَجِدْ
فِي الْاَرْضِ مُرٰغَمًا كَثِيْرًا وَّسَعَةً ۭ وَمَنْ يَّخْرُجْ
مِنْۢ بَيْتِهٖ مُهَاجِرًا اِلَى اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ ثُمَّ يُدْرِكْهُ
الْمَوْتُ فَقَدْ وَقَعَ اَجْرُهٗ عَلَى اللّٰهِ ۭ وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا
رَّحِيْمًا ﴿١٠٠﴾ وَاِذَا ضَرَبْتُمْ فِي الْاَرْضِ فَلَيْسَ عَلَيْكُمْ
جُنَاحٌ اَنْ تَقْصُرُوْا مِنَ الصَّلٰوةِ ڰ اِنْ خِفْتُمْ اَنْ يَّفْتِنَكُمُ
الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ۭ اِنَّ الْكٰفِرِيْنَ كَانُوْا لَكُمْ عَدُوًّا مُّبِيْنًا ﴿١٠١﴾

---

خیطرٕ ہ، وسیع جای گذارہ معاشہِ خیطرٕ ہ وَمَنْ يَّخْرُجْ مِنْۢ بَيْتِهٖ مُهَاجِرًا اِلَى اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ بیہِ
یُس اکھاہ دراوِ پننہِ وَطنہ منزٕ ہجرت کرِتھ خدایس تہٕ تہندس رسولس کُن ثُمَّ يُدْرِكْهُ الْمَوْتُ تو
پتہٕ ییہِ تس اَتھہ حالس منز مرگ فَقَدْ وَقَعَ اَجْرُهٗ عَلَى اللّٰهِ بیشک تمسنز مزورِ تہٕ ثواب سپُد مٔتھِ
خُدایس وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن سیٹھاہ رَحم کرہ وُن
وَاِذَا ضَرَبْتُمْ فِي الْاَرْضِ فَلَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ اَنْ تَقْصُرُوْا مِنَ الصَّلٰوةِ بیہ یلہِ تُہہ کُنہِ قسمکس
سفرس نیران آسوِای باسِمانو پَس چھُونہ کانہہ حَرج توہہِ ہر گاہ تُہہ نمازِ ہندین رکعتین کمی کرِو۔ ژور رن
رکعتن نمازِ بدلہ پروزِی رکعژ۔ سوٗگییہ پیشن نماز، دِگر نماز تہٕ خفتن نماز۔ یموِ ورای یمہِ نمازہ ژورو
رکعتو خو تہٕ کم چھہ تمہِ گیہِ صبح نماز تہٕ شام نماز۔ تمہِ چھہ برابر پنہ نسی حالس پیٹھ تھاونہِ۔ صُبح زہ رکعت
فرض۔ شام ترے رکعت فرض۔ سنت چھُو اختیاری آوٗ موقعہ پرن آوٗنہ موقعہ تراوُن۔ تتھ چھُونہ
کانہہ بازخواست اِنْ خِفْتُمْ اَنْ يَّفْتِنَكُمُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ہر گاہ توہہِ خوف آسہِ کافرن تہٕ دُشمن ہندہِ
پریشان کرنُک اِنَّ الْكٰفِرِيْنَ كَانُوْا لَكُمْ عَدُوًّا مُّبِيْنًا پزپاٹِ کافر چھہِ ہمیشہِ تہُندِ نُنِ دُشمن وَاِذَا
كُنْتَ فِيْهِمْ پَس یلہِ تُہہ تمنِ منز تشریف تھاوان آسوِ یا رسول اللہ یا توہہِ پتہٕ یُس اِمام آسہِ فوجُک

وَإِذَا كُنْتَ فِيهِمْ فَأَقَمْتَ لَهُمُ الصَّلٰوةَ فَلْتَقُمْ طَآئِفَةٌ
مِّنْهُمْ مَّعَكَ وَلْيَأْخُذُوٓا أَسْلِحَتَهُمْ ۚ فَإِذَا سَجَدُوا فَلْيَكُونُوا
مِنْ وَّرَآئِكُمْ ۖ وَلْتَأْتِ طَآئِفَةٌ أُخْرٰى لَمْ يُصَلُّوا فَلْيُصَلُّوا
مَعَكَ وَلْيَأْخُذُوا حِذْرَهُمْ وَأَسْلِحَتَهُمْ ۚ وَدَّ الَّذِينَ
كَفَرُوا لَوْ تَغْفُلُونَ عَنْ أَسْلِحَتِكُمْ وَأَمْتِعَتِكُمْ فَيَمِيلُونَ
عَلَيْكُمْ مَّيْلَةً وَّاحِدَةً ۚ وَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ إِنْ كَانَ بِكُمْ
أَذًى مِّنْ مَّطَرٍ أَوْ كُنْتُمْ مَّرْضٰٓى أَنْ تَضَعُوٓا أَسْلِحَتَكُمْ ۖ وَ

---

فَأَقَمْتَ لَهُمُ الصَّلٰوةَ توپتہٕ ارادہ کرِو تم نمازہ پرٕناونک فَلْتَقُمْ طَآئِفَةٌ مِّنْهُمْ مَّعَكَ پس وتھن اکھ جماعت تمِ پرنِ توہہِ سیت نماز وَلْيَأْخُذُوٓا أَسْلِحَتَهُمْ بیہ رٹنِ تمِ سلاح پنٕن پانس سیت فَإِذَا سَجَدُوا فَلْيَكُونُوا مِنْ وَّرَآئِكُمْ پس یلہِ تمِ اکھ رکعت پرٕن تمِ نیرن توہہِ پتھ کُن نگرانی تہٕ پہرہ دِنہ خیطرہ وَلْتَأْتِ طَآئِفَةٌ أُخْرٰى اتھ جایہِ اَیِن دویم جماعت لَمْ يُصَلُّوا تِمَو نہ ونہِ نماز ادا کٔر فَلْيُصَلُّوا مَعَكَ پس پرنِ تمِ نماز مسبوق بنٕتِ توہہِ سیت وَلْيَأْخُذُوا حِذْرَهُمْ وَأَسْلِحَتَهُمْ تمِ تہٕ رٹنِ پانس سیت پنٕن سلاح سامانہ۔ کیازہ نمازِہ منزٕ ے ماپیہٕ دُشمن سیت مُقابلہ کُرن۔ وَدَّ الَّذِينَ كَفَرُوا لَوْ تَغْفُلُونَ عَنْ أَسْلِحَتِكُمْ وَأَمْتِعَتِكُمْ کیازِہ کافرن ہنز خواہش چھ ہرگاہ تُہہ سِلاح سامانہ نشہِ کُنہ وقتہ بے خبر سپدِ ہو۔ فَيَمِيلُونَ عَلَيْكُمْ مَّيْلَةً وَّاحِدَةً تمِ کرہَن تمہِ ساتہ توہہِ پیٹھ کُنوی حملہ۔ وَلَا جُنَاحَ عَلَيْكُمْ إِنْ كَانَ بِكُمْ أَذًى مِّنْ مَّطَرٍ أَوْ كُنْتُمْ مَّرْضٰٓى أَنْ تَضَعُوٓا أَسْلِحَتَكُمْ بیہٕ چھُونہ توہہِ کانہہ گُناہ ہرگاہ توہہِ روُدک، بارشہِ ہُند کانہہ تکلیف آسہِ یا آسوِ تُہہ بیمار تمہِ ساتہ کیاہ مُٔرراوِو تُہہ سِلاح وَ خُذُوا حِذْرَكُمْ توپتہ تہِ گٔژھِ پنٕن بچاو کرن، دٔبس خبردار روزُن إِنَّ اللّٰهَ أَعَدَّ لِلْكٰفِرِينَ عَذَابًا

خُذُوْا حِذْرَكُمْ ۭ اِنَّ اللّٰهَ اَعَدَّ لِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابًا مُّهِيْنًا ﴿۱۰۲﴾
فَاِذَا قَضَيْتُمُ الصَّلٰوةَ فَاذْكُرُوا اللّٰهَ قِيٰمًا وَّقُعُوْدًا
وَّعَلٰي جُنُوْبِكُمْ ۚ فَاِذَا اطْمَاْنَنْتُمْ فَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ ۚ اِنَّ
الصَّلٰوةَ كَانَتْ عَلَي الْمُؤْمِنِيْنَ كِتٰبًا مَّوْقُوْتًا ﴿۱۰۳﴾ وَلَا
تَهِنُوْا فِي ابْتِغَاۗءِ الْقَوْمِ ۭ اِنْ تَكُوْنُوْا تَاْلَمُوْنَ فَاِنَّهُمْ
يَاْلَمُوْنَ كَمَا تَاْلَمُوْنَ ۚ وَتَرْجُوْنَ مِنَ اللّٰهِ مَا لَا يَرْجُوْنَ ۭ وَ

---

مُّهِيْنًا بيشڪ الله تعالىٰ اُن ڇڏو تيار ٿو وُٺ ڪافرن ھنڌ خيطر خوار ته ذليل ڪره ڏن عذاب فَاِذَا
قَضَيْتُمُ الصَّلٰوةَ فَاذْكُرُوا اللّٰهَ قِيٰمًا وَّقُعُوْدًا پس يلهِ تهه نماز خوف موڪلاوو پس ڪر وِ خدايه سُند
يادوو تهدَ تهِ تنه بهتِ تهِ وَّعَلٰي جُنُوْبِكُمْ بيهِ ڪر تراوِت تهِ غرض پريتهه حالس اندر روزو مشغول
بذڪرِ آلهي ـ نمازِه منز اوس تخفيف مگر ذڪرِ خدا ڇھو پريتهه حالس منز برابر فَاِذَا اطْمَاْنَنْتُمْ فَاَقِيْمُوا
الصَّلٰوةَ پس يلهِ توهه خوف دوُر سپدِ تهه اطمينان حاصل سپدِه ـ ياسفر ختم سپدِ تهه پنه نسِ شهرس منز واتوِ
ته مقيم سپدِو پس تهاوِ برپا نماز قاعِده موجب ـ حسبِ معمول اِنَّ الصَّلٰوةَ كَانَتْ عَلَي الْمُؤْمِنِيْنَ
كِتٰبًا مَّوْقُوْتًا کيازِه بيشڪ نماز ڇهه فرض ته مٹهِ باايمانن پيٹهه وقتيچه پابندي سان ـ پس ڇهه نماز
فرض آسنه مُوکه اداڪرنِ لازِم وقت مقرر ڪرنه آمڙ آسنه مُوکه پنه نسِ وقتس پيٹهه اداڪرن ضروري ته
لازم وَلَا تَهِنُوْا فِي ابْتِغَاۗءِ الْقَوْمِ بيهِ مه آسوِ سُستي ته کوتاهي ڪران دُشمن پته لارنس اَندر تهکنه
کهِ سببه اِنْ تَكُوْنُوْا تَاْلَمُوْنَ فَاِنَّهُمْ يَاْلَمُوْنَ كَمَا تَاْلَمُوْنَ هرگاه تُهه دود ته دگ محسوس ڇھوِه
ڪران زخمن ته ڇھوگن هندِه وجهه تُهند دُشمن تهِ ڇھو ڇھو ڪن ته زخمن هنز دگ محسوس ڪران تُهندي پاٹهِ
مگر تمن ڪونه ڇهه سُستي ته کوتاهي گرڻهان حالانڪهِ وَتَرْجُوْنَ مِنَ اللّٰهِ مَا لَا يَرْجُوْنَ تُهه ڇھوِه خدا ايس نِشه
تمي بڈهِ ثوابک اُميدوار تِچ نه تمنِ ڪانهه برانتهاه ڇهه نه امهِ مُوکه گرڻهوه تُهِ زياده چُست وچالاک آسِن
وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيْمًا حَكِيْمًا الله تعالىٰ ڇھو سورُوي زانه ڏن سيٹهاه حڪمته ڏول اِنَّآ اَنْزَلْنَآ اِلَيْكَ الْكِتٰبَ

كَانَ اللّٰهُ عَلِيْمًا حَكِيْمًا ﴿۱۰۴﴾ اِنَّآ اَنْزَلْنَآ اِلَيْكَ الْكِتٰبَ بِالْحَقِّ لِتَحْكُمَ
بَيْنَ النَّاسِ بِمَآ اَرٰىكَ اللّٰهُ ؕ وَلَا تَكُنْ لِّلْخَآئِنِيْنَ خَصِيْمًا ﴿۱۰۵﴾
وَّاسْتَغْفِرِ اللّٰهَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ﴿۱۰۶﴾ وَلَا تُجَادِلْ
عَنِ الَّذِيْنَ يَخْتَانُوْنَ اَنْفُسَهُمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا يُحِبُّ مَنْ
كَانَ خَوَّانًا اَثِيْمًا ﴿۱۰۷﴾ يَّسْتَخْفُوْنَ مِنَ النَّاسِ وَلَا
يَسْتَخْفُوْنَ مِنَ اللّٰهِ وَهُوَ مَعَهُمْ اِذْ يُبَيِّتُوْنَ مَا لَا يَرْضٰى
مِنَ الْقَوْلِ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ بِمَا يَعْمَلُوْنَ مُحِيْطًا ﴿۱۰۸﴾ هٰاَنْتُمْ

---

بِالْحَقِّ لِتَحْكُمَ بَيْنَ النَّاسِ بِمَآ اَرٰىكَ اللّٰهُ پڙ پاڇه نازل ڪراسۃ توہہ پيٿھہ يہ ڪتاب قرآن مجيد پوز حُڪم
ہيتھہ۔ يُتھہ تہہ فيصلہ ڪرِ لوڪن منز تمی موجب بيہِ يہ توہہ اللّٰہ تعالیٰ ان بذريعہ وحی ہووَتہ بُووَ وَلَا تَكُنْ
لِّلْخَآئِنِيْنَ خَصِيْمًا بيہِ مہ حض سپد وتہہ خيانت ڪرہ وٕنين ہندِ طرفدار وَّاسْتَغْفِرِ اللّٰهَ بيہِ منگو
خدايس مغفرت اِنَّ اللّٰهَ كَانَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا بيشڪ اللّٰہ تعالیٰ چھُو سيٹھاہ مغفرت ڪرہ وُن سيٹھاہ رحم
ڪرہ وُن وَلَا تُجَادِلْ عَنِ الَّذِيْنَ يَخْتَانُوْنَ اَنْفُسَهُمْ تہہ مہ حض ڪرِو جواب دِہی تمن لوڪن ہندِہ
طرفہ يم خيانت چھہ ڪران، نقصان چھہ واتناوان پانٕ پانس اِنَّ اللّٰهَ لَا يُحِبُّ مَنْ كَانَ خَوَّانًا اَثِيْمًا
پزِ پاٹھ اللّٰہ تعالیٰ چھُو نہ پسند ڪران تس يُس بُوڈ خيانت ڪرہ وُن آسہِ يُس بوڈ خطا ڪار آسہِ
يَّسْتَخْفُوْنَ مِنَ النَّاسِ وَلَا يَسْتَخْفُوْنَ مِنَ اللّٰهِ يم لُوکھ چھہ يہ پنٕن خيانت لوڪن نشہِ مندہ
چھتھ ڪھٹان مگر خدايس نشہِ چھنہ مَند چھان نہ ڪھٹان وَهُوَ مَعَهُمْ اِذْ يُبَيِّتُوْنَ مَا لَا يَرْضٰى مِنَ الْقَوْلِ
حالانکہ سُو چھُو تمن پريتھہ وقتہ سيت سيت آسان خصوصاً يمہ ساتہ رات ڪيُوت تدبير سو نچنس متعلق تم
ڪتھہ ڪران چھہِ يمن نہ سُو راضی چھُو وَكَانَ اللّٰهُ بِمَا يَعْمَلُوْنَ مُحِيْطًا اللّٰہ تعالیٰ چھُو تہنز ن سارنی
ڪامين پنٕنہ علم واطلاعہ سيت احاطہ ڪرِتھہ۔ تہندہ علمہ نيبر چھينہ ڪانہہ ڪتھہ تہ ڪانہہ ڪوماہ هٰاَنْتُمْ هٰٓؤُلَآءِ جٰدَلْتُمْ

هٰۤؤُلَآءِ جٰدَلْتُمْ عَنْهُمْ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۣ فَمَنْ يُّجَادِلُ اللّٰهَ عَنْهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ اَمْ مَّنْ يَّكُوْنُ عَلَيْهِمْ وَكِيْلًا ﴿١٠٩﴾ وَمَنْ يَّعْمَلْ سُوْۗءًا اَوْ يَظْلِمْ نَفْسَهٗ ثُمَّ يَسْتَغْفِرِ اللّٰهَ يَجِدِ اللّٰهَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ﴿١١٠﴾ وَمَنْ يَّكْسِبْ اِثْمًا فَاِنَّمَا يَكْسِبُهٗ عَلٰي نَفْسِهٖ ۭ وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيْمًا حَكِيْمًا ﴿١١١﴾ وَمَنْ يَّكْسِبْ خَطِيْۗــــَٔةً اَوْ اِثْمًا ثُمَّ يَرْمِ بِهٖ بَرِيْۗــــــًٔا فَقَدِ احْتَمَلَ بُهْتَانًا وَّاِثْمًا مُّبِيْنًا ﴿١١٢﴾ ع وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكَ وَرَحْمَتُهٗ لَهَمَّتْ طَّاۗىِٕفَةٌ مِّنْهُمْ

---

عَنْهُمْ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا اى مُسلمانو تهه گوه تے تسم جوابدہی چھوه كران مجُرمن هندہ طرف يتهِ دنياچه زندگی اندر فَمَنْ يُّجَادِلُ اللّٰهَ عَنْهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ تهه ونتو قيامتك دۄه كُس كرِ جواب دِهى تهندِ طرفه خدايس نشهِ اَمْ مَّنْ يَّكُوْنُ عَلَيْهِمْ وَكِيْلًا نته كس كوه سنابنهِ وكيل تُهنده طرفه خدايس نشهِ وَمَنْ يَّعْمَلْ سُوْۗءًا اَوْ يَظْلِمْ نَفْسَهٗ بيهِ يُس اكهاه كانهه تِچهه كاماه كرِ۔ تِميك ضرر بيَيس واتهِ نته كرِ ظُلم پانِ پانس۔ يعنى تِميك ضرر راسس پانسى واتهِ ثُمَّ يَسْتَغْفِرِ اللّٰهَ توپته منگهِ مغفرت الله تعالىٰ اس تمهِ گُناهه نشهِ يَجِدِ اللّٰهَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا سُولبهِ الله تعالىٰ اس سيٹھاه مغفرت كرہ ڈن سيٹھاه رحم كرہ ڈن وَمَنْ يَّكْسِبْ اِثْمًا فَاِنَّمَا يَكْسِبُهٗ عَلٰي نَفْسِهٖ بيهِ يُس اكهاه كانهه تِچهه كاماه چھُو كماوان سُو چھُونه كماوان كينهه مگر پننه نسِى پانس پيٹھه بڈ خرابى وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيْمًا حَكِيْمًا الله تعالىٰ چھُو سوروِى زانه ڈن سارنى كامين اندر سيٹھاه حِكمته ڈول وَمَنْ يَّكْسِبْ خَطِيْۗــــَٔةً اَوْ اِثْمًا ثُمَّ يَرْمِ بِهٖ بَرِيْۗــــــًٔا وڈنِ يُس اكهاه كانهه گُنهاه نه زانتهه يا زانتهه كرِ پانه توپته لاگهِ تِچ ہانژھ كانسهِ بے گُنهس فَقَدِ احْتَمَلَ بُهْتَانًا وَّاِثْمًا مُّبِيْنًا پس بتحقيق تمِ كھور پننهِ گردنهِ پيٹھه اپزيگ ته ننهِ گُنهك اكھ بُوڈ بوراه وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكَ وَرَحْمَتُهٗ بيهِ ہرگزئے خدايه سُند بُوڈ فضل ته بڈ رحمت توهِ شاملِ حال آسها لَهَمَّتْ طَّاۗىِٕفَةٌ مِّنْهُمْ اَنْ يُّضِلُّوْكَ البته تمو

أَنْ يُّضِلُّوْكَ ؕ وَمَا يُضِلُّوْنَ إِلَّآ أَنْفُسَهُمْ وَمَا يَضُرُّوْنَكَ مِنْ شَيْءٍ ؕ وَأَنْزَلَ اللّٰهُ عَلَيْكَ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ وَعَلَّمَكَ مَا لَمْ تَكُنْ تَعْلَمُ ؕ وَكَانَ فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكَ عَظِيْمًا ﴿١١٣﴾ لَا خَيْرَ فِيْ كَثِيْرٍ مِّنْ نَّجْوٰىهُمْ إِلَّا مَنْ أَمَرَ بِصَدَقَةٍ أَوْ مَعْرُوْفٍ أَوْ إِصْلَاحٍ بَيْنَ النَّاسِ ؕ وَمَنْ يَّفْعَلْ ذٰلِكَ ابْتِغَآءَ مَرْضَاتِ اللّٰهِ فَسَوْفَ نُؤْتِيْهِ أَجْرًا عَظِيْمًا ﴿١١٤﴾ وَمَنْ

---

أَندرہ اکِ جماعتَن کرِ یوو پختہ ارِادہ توہہِ ڈالنہ خیطرہ، غلطی اندر تراو نہ خیطرہ وَمَا يُضِلُّوْنَ إِلَّآ أَنْفُسَهُمْ وَمَا يَضُرُّوْنَكَ مِنْ شَيْءٍ ڈالہ ہَن تہ گمراہ کرہ ہَن نہ تمِ مگر پننہ پانَن۔ تِہنہ ہیکہِ نوہ نہ کانہہ ضرر تہ نقصان وَاتناوِت پننہ نیو چالاکیو اندرہ کُنہِ چیزہ سیت وَأَنْزَلَ اللّٰهُ عَلَيْكَ الْكِتٰبَ وَالْحِكْمَةَ وَعَلَّمَكَ مَا لَمْ تَكُنْ تَعْلَمُ کیازِہ اللہ تعالیٰ اَن سُوز توہہِ پیٹھہ یہ کِتاب (قرآن مجید) بیہ ہِکمتہِ ناوِنوتُہہ عقلہِ ہنزہ کتھہ۔ بیہ ہِکمتہ ناوِنوہ تُہہ تمہِ تمہ کتھہ یمہِ نہ تُہہ زانہو برونٹھہ وَكَانَ فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكَ عَظِيْمًا ہمیشہ رُود توہہِ پیٹھہ اللہ تعالیٰ سُند بوڈ فضل لَا خَيْرَ فِيْ كَثِيْرٍ مِّنْ نَّجْوٰىهُمْ کانہہ خیر و برکت چھنہ عام لُوکن ہندین اکثر پوشیدہ مشورنِ اندر إِلَّا مَنْ أَمَرَ بِصَدَقَةٍ أَوْ مَعْرُوْفٍ أَوْ إِصْلَاحٍ بَيْنَ النَّاسِ مگرے کانسہِ تمِو اَندرہ خیرات کرنک یا کُنہِ رژہ کامہِ ہندہ کرنک یا لوکَن اندر اتحاد واتِفاق کرنک تجویز وترغیب آسہِ کورمُت۔ تمن مشورَن اندر چھو واقعی خیر و برکت وَمَنْ يَّفْعَلْ ذٰلِكَ ابْتِغَآءَ مَرْضَاتِ اللّٰهِ فَسَوْفَ نُؤْتِيْهِ أَجْرًا عَظِيْمًا یُس اکھاہ اَمہِ قسمچہِ کامہِ کرہ محض خدایہِ سُند رضا ژھانڈنہ خیطرہ۔ ریاست تہ شہرت حاصِل کرنہ خیطرہ نہ یُس کرواَسِ تس برونٹھ پھن عطار ژمزورِ۔ مگر تمَن خیانت کرہ وِنیَن ہندِ پوشیدہ مشورہ اَمہِ قسمکِ چھنہ کیازہ تمِو کر مخالفت نبی کریمہ سنز۔ وَمَنْ يُّشَاقِقِ الرَّسُوْلَ مِنْ بَعْدِ مَا تَبَيَّنَ لَهُ الْهُدٰى یُس اکھاہ مخالفت کرِہ رسول کریمہ سنز ہداَیژ وتھ تس نشہِ وارہ ظاہر سپدن پتہ وَيَتَّبِعْ غَيْرَ سَبِيْلِ الْمُؤْمِنِيْنَ بیہ کرہ پیروی

يُّشَاقِقِ الرَّسُوْلَ مِنْۢ بَعْدِ مَا تَبَيَّنَ لَهُ الْهُدٰى وَ يَتَّبِعْ غَيْرَ سَبِيْلِ الْمُؤْمِنِيْنَ نُوَلِّهٖ مَا تَوَلّٰى وَنُصْلِهٖ جَهَنَّمَؕ وَسَآءَتْ مَصِيْرًا ﴿۱۱۵﴾ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَغْفِرُ اَنْ يُّشْرَكَ بِهٖ وَيَغْفِرُ مَا دُوْنَ ذٰلِكَ لِمَنْ يَّشَآءُؕ وَمَنْ يُّشْرِكْ بِاللّٰهِ فَقَدْ ضَلَّ ضَلٰلًۢا بَعِيْدًا ﴿۱۱۶﴾ اِنْ يَّدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖۤ اِلَّآ

---

باایمانَن ہنز ہ وتہٕ ورای بیہِ کُنہٕ وتہٕ ہنز نُوَلِّهٖ مَا تَوَلّٰى وَنُصْلِهٖ جَهَنَّمَ وَسَآءَتْ مَصِيْرًا پھِرون سُوٲسِ تتھ طرفس کُن یتھ کُن سُو پھیور دُنیاءس منز۔ یہ سُو کرنہٕ لوگ تِی دموس کرنہٕ۔ وگ تراووس ڈیٚج۔ مگر واتناوون سُوٲسِ پتو لاکہ نارِ جہنمس۔ سیٹھاہ تیچھ چھےٚ سو تہندہ واتج جایاہ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَغْفِرُ اَنْ يُّشْرَكَ بِهٖ سیزپاٹھِ اللہ تعالیٰ کرِہ نہٕ بخشایش سزادِتھ تہٕ یتھ کتھِ کہ تس کیاایہِ کانہہ چیز اَیا کانہہ شخصاہ تہند شریک ٹھہراونہٕ۔ بلکہ چھو مُشرکس ہمیشہ ابدالآباد سزاءس منز گرفتار روزُن وَيَغْفِرُ مَا دُوْنَ ذٰلِكَ لِمَنْ يَّشَآءُ تمہِ ورایِ یم گناہِ آسَن تم کرِہ مغفرت تہٕ بخشایش اللہ تعالےٰ سزادِنہ ورایِ یُس یژھہِ تہٕ تَس۔ گناہِ صیغرہ آسِتن یاگناہِ کبیرہ۔ البتہ اگر مُشرک شرکہ نشہِ پتھ روزِہ، پوز توبہ کرِہ، بصدقِ دِل مُسلمان سپدِہ، کُنس خدایس پزھ کرِہ سُو لبہٕ تلہِ عذابِ دائمی نشہِ نجات۔ مُشرکس بخشایش نہ سپدِ نُک وجہ چھوای زِہ وَمَنْ يُّشْرِكْ بِاللّٰهِ فَقَدْ ضَلَّ ضَلٰلًۢا بَعِيْدًا یُس شخصاہ اللہ تعالیٰ اَس سیت کانسہٕ شریک ٹھہراوان چھُو۔ سُو چھو امرِ حقہ نشہِ دُور بجہ گمراہی اندر پیوان۔ سُو امرِ حق گو توحید باری تعالیٰ یُس عقلہٕ کِن تہٕ واجب چھُو۔ تمہِ علاوہ چھُو حضرتِ خالقِ مُطلق سند یو حقو قواندرہ تس تعظیم کرن لازِم۔ مُشرک چھُو پننہٕ شرکہ سیت حضرتِ خالق سنز اہانت تہٕ بےتعظیمی کران۔ تمی چھُو تس عذاب دائمی سزا مُقرر کرنہٕ آمت باقی گُناہ یم چھہِ اگرچہ تِم چھہِ گمراہی مگر توحیدس خِلاف چھنہٕ تمہٕ مُوکھ آی تِم قابلِ عفوو مغفرت قرار دِنہٕ۔ شرک تہٕ کُفر گو کُنُوی ناقابلِ مغفرت آسنس اندر کیازہ کُفرس اندر تہٕ چھُو انکارِ خالق لبنہ یوان لہٰذا اچھہِ دوشوے ناقابلِ مغفرت۔ سزاوارِ عذابِ ابدی۔ تِم مُشرک کاتیاہ

اِنٰثًا ۚ وَاِنْ يَّدْعُوْنَ اِلَّا شَيْطٰنًا مَّرِيْدًا ﴿١١٧﴾ لَّعَنَهُ اللّٰهُ ۘ
وَقَالَ لَاَتَّخِذَنَّ مِنْ عِبَادِكَ نَصِيْبًا مَّفْرُوْضًا ﴿١١٨﴾
وَّلَاُضِلَّنَّهُمْ وَلَاُمَنِّيَنَّهُمْ وَلَاٰمُرَنَّهُمْ فَلَيُبَتِّكُنَّ اٰذَانَ
الْاَنْعَامِ وَلَاٰمُرَنَّهُمْ فَلَيُغَيِّرُنَّ خَلْقَ اللّٰهِ ۚ وَمَنْ يَّتَّخِذِ

---

بے عقل تہٕ احمق چھِہ اِنْ يَّدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖٓ اِلَّآ اِنٰثًا تِم چھِنہٕ اللہ تعالیٰ سنز عبادت تراوِتھ عبادت کران مگر اکھ تِمنی چیزن ہنز یِمَن زنانہ ناو چھُو۔ مثلاً لات۔ عزی۔ منات وغیرہ وَاِنْ يَّدْعُوْنَ اِلَّا شَيْطٰنًا مَّرِيْدًا لَّعَنَهُ اللّٰهُ بیٚیہ چھِنہٕ تِم مُشرک عبادت تہٕ آلو دوان مگر تَس سرکش تہٕ نافرمان شیطانس یُس اللہ تعالیٰ اَن پننہِ خاص رحمتہ نشہِ دُور کورمُت چھُو۔ وَقَالَ لَاَتَّخِذَنَّ مِنْ عِبَادِكَ نَصِيْبًا مَّفْرُوْضًا تِم شیطانَن مردود تہٕ ملعُون گژھنکہِ وقتہٕ لاف دِوان دُونمُت چھُو زِہ بورٹن ضرور چانیو بندواَندرہ مُقرر اکھ حِصاہ تِمن بیٚہ یُوونان آسہ تِم آسَن تہٕ کران وَّلَاُضِلَّنَّهُمْ بُو کرکھ تِم ضرور شِرکی تہٕ کُفری ییٚچھہ عقاید وسیت گُمراہ وَلَاُمَنِّيَنَّهُمْ بیٚیہ نر اوہ بو ضرور تہندین خیالاتن اندر تِمے ہوس تہٕ آرزو تِموٚ سیت گُنہن تہٕ نافرمانین کُن رغبت آسن کران۔ تِمن گُنہن ہُند ضرر تہٕ نقصان آسیکھ نہ در ییٚنھی یِوان وَلَاٰمُرَنَّهُمْ فَلَيُبَتِّكُنَّ اٰذَانَ الْاَنْعَامِ بیٚیہ آسکھ بُو کُفرہ چَن تہٕ فِسقہ چَن کامین ہُند حُکم کران۔ چنانچہ تِم آسَن خدایَس، معبُود برحقس ورایِ بیٚن ہندین ناون پیٹھہ جانورن نامزد کرِتھہ، ناوَ تھاوِتھہ تہندین کَنن ترتھہ دِوان، نشانہ تھاوان وَلَاٰمُرَنَّهُمْ فَلَيُغَيِّرُنَّ خَلْقَ اللّٰهِ بیٚیہ آسکھ بُو تِم ہیچھہِ ناوان پَس آسَن تِم خدایہِ سنزہِ پیدہ کرمژہ شکلہِ تغیر دوان۔ شکلہِ تغیر دیُن چھَہ فسقچ کام۔ مثلاً ریش کاسُن۔ بُھتس یا بدنس کُنہِ جایہِ خال تہٕ نشانہ تراوُن یا ناولیکھ ناوُن۔ چنانچہ حدیثِ شریفس منز چھُو آمُت، منع فرموو حضرتِ رسولِ کریمن صلی اللہ علیہِ وسلم عن الوشر دندزاولِ تہٕ تک کرناونہ نشہِ والوشم بیٚیہ خال تہٕ نشانہ تراونہ نشہِ والنتف بیٚیہ سفید وال کلہ منزہ یا ریشہِ منزہ لمتھہ کڈنہ نشہِ۔ یِہ گو شکلہِ تغیر دیُن۔ بیٚیس حدیثِ شریفس منز چھُو آمُت۔ لعنتِ خدا تِمن شخصن یِم خدایہِ سنزہِ پیدہ کرِمژہ شکلہ تغیر دِن۔ حضرت عبد اللہ بن مسعودُن فرموو لعنتِ خُدا خال تراوہ وَنین زنانَن۔ اکسندسِ بیٚیہ سندِ مستَس

# الشَّيْطٰنَ وَلِيًّا مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ فَقَدْ خَسِرَ خُسْرَانًا مُّبِيْنًا ﴿۱۱۹﴾

سیت ملناوہ ونین زنانٔن یتھ کون مس بوزنہ ییہ بتھس، ڈیکس لمتھ وال کڈوونین زنانن۔ دندن پھہر وا وہ سیت یابیہ کنہ چیزہ سیت خوبصورتی خیطرہ ہکراوہ ونین زنانٔن۔ تمے کیا گیہ خدایہ سنزہ پیدہ کرمژہ شکلہ تغیر دیوہ ونہ زنانہ۔ یتھے پاٹھہ چھو حدیثِ شریفس منز آمت زُيِّنَ الرِّجَالُ بِاللُّحى وَزُيِّنَ النِّسَاءُ بِالذَّوَائِبِ مردن آوزینت دنہ ریشہ سیت۔ زنانٔن آوزینت دنہ مستہ سیت۔ لہٰذا گو مردن ہند ریش کاسُن یاکرپُن یا زنانن ہند مس کاسُن یاکرپُن خدایہ سنزہ پیدہ کرہ مژہ شکلہ تغیر دیُن۔ امکوی تجویز چھو انسانس شیطان کران توے چھو ریش کاسُن گناہ کبیرہ اندرہ۔ تمہ علاوہ چھہ حضرتِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سندس صریح حکمس، ریش کاسنہ سیت مخالفت سپدان۔ بخاری شریفس منز چھو حدیثِ شریف کہ فرموو حضرتِ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم تہہ کرِوای مسلمانو، بایمانو، مشرکن ہنز مخالفت، تہہ تھاوِو ریش پور، گونژھہ کرِو پست مشرک چھہِ گونژھہ تھاوان تہ ریش کاسان۔ بیاکھ حدیث شریف چھو صحیح مسلمس اندر کہ فرموو نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم خَالِفُوا الْمَجُوسَ وَالْمُشْرِكِيْنَ مخالفت کرِو آتش پرستن ہنز بیہ مشرکن ہنز۔ مشرک آس ریش کاسان۔ مجوس آسِ ریش کرپان۔ یہ چھو صریح فرمانِ پیغمبر اسلام ریشس متعلق۔ اللہ تعالیٰ چھو فرماوان قرآنِ مجیدس اندر فَلْيَحْذَرِ الَّذِيْنَ يُخَالِفُوْنَ عَنْ اَمْرِهٖۤ اَنْ تُصِيْبَهُمْ فِتْنَةٌ اَوْ يُصِيْبَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ کھوژِن تم لوکھ یِم پیغمبر برحقہ سندِس حکمس مخالفت کرن کہ تمن واتہِ دُنیاہس اندر بڈ بلایاہ آخرتس اندر کٹر عذاب۔ بیس آیہ کریمس اندر چھو اللہ تعالیٰ فرماوان وَمَا كَانَ لِمُؤْمِنٍ وَّلَا مُؤْمِنَةٍ اِذَا قَضَى اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗۤ اَمْرًا اَنْ يَّكُوْنَ لَهُمُ الْخِيَرَةُ مِنْ اَمْرِهِمْ وَمَنْ يَّعْصِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ فَقَدْ ضَلَّ ضَلٰلًا مُّبِيْنًا کانسہ بایمان مردس یا بایمان زنانہ چھو نہ ہرگز یمہ کتھہ ہند اختیار کہ یلہ اللہ تعالیٰ بیہ تہند پیغمبر کنہ کتھہ متعلق کانہہ حکماہ فرماون تمن کیاہ روزہ کانہہ گنجایشاہ تتھ حکمس بدل کرنچ یُس شخصاہ خدا ورسولہ سندس حکمس بدل کرہ پس بتحقیق سو پیونہ گمراہی اندر۔ یمیُک انجام چھو نارِ جہنم۔ کوتاہ افسوس تمن مسمانن ہندِ حقہ یم رسول کریمہ سندہ محبتک تہ متابعتک دعوی دِوان چھہِ توپتہ چھہِ تہندِس اتھہ صریح حکمس مخالفت کران۔ ریشہ کاسنہ سیت۔ تہند حکم پس پشت تراوِتھہ نظر انداز کرِتھہ شیطانہ سندِس حکمس تعمیل کران۔ تسنزہ لاف زنی ہند تصدیق کران۔ امی چھو شریعتک حکم کہ یُس ریش کاسہِ یاکرِپہ سو چھو فاسق۔ وَمَنْ يَّتَّخِذِ الشَّيْطٰنَ وَلِيًّا مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ فَقَدْ خَسِرَ خُسْرَانًا مُّبِيْنًا وونِ یُس اکھاہ شیطانس

يَعِدُهُمْ وَيُمَنِّيهِمْ ۖ وَمَا يَعِدُهُمُ الشَّيْطٰنُ إِلَّا غُرُورًا ﴿١٢٠﴾ أُولٰٓئِكَ مَأْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ وَلَا يَجِدُونَ عَنْهَا مَحِيصًا ﴿١٢١﴾ وَالَّذِينَ اٰمَنُوا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ سَنُدْخِلُهُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِي مِنْ تَحْتِهَا الْأَنْهٰرُ خٰلِدِينَ فِيهَآ أَبَدًا ۖ وَعْدَ اللّٰهِ حَقًّا ۚ وَمَنْ أَصْدَقُ مِنَ اللّٰهِ قِيلًا ﴿١٢٢﴾ لَيْسَ بِأَمَانِيِّكُمْ وَلَآ أَمَانِيِّ أَهْلِ الْكِتٰبِ ۗ مَنْ يَعْمَلْ سُوٓءًا يُجْزَ بِهٖ ۙ

---

تھاوِ پَنُن دُوست تہٕ رفیق خدایس ورای یعنی خدایہٕ سنز اطاعت کرِ نہٕ، شیطانہٕ سنزی اطاعت کرِ سُہ شخص پیوبڑِس نقصانس اندر۔ سُہ بوڑ نقصان گونار جہنمس گرفتار سپدُن يَعِدُهُمْ وَيُمَنِّيهِمْ شیطان چھُو تمن لوکن شرکی عقائدن متعلق اپز وعدہ کران۔ خیالاتن اندر ہوس تہٕ خواہشہٕ پیدہ کران۔ گنہن تہٕ نافرمانین اندر مزہ تہٕ لذت آسنک وسوسہٕ تراوان۔ آمدنی زیادہ سپدنک طمع دِتھ حرام تجارت، ناجائز معاملاتن ہندِ مُرتکب سپدنس پیٹھ آمادہ کران وَمَا يَعِدُهُمُ الشَّيْطٰنُ إِلَّا غُرُورًا شیطان چھُو نہٕ تمن یم وعدہ دِوان مگر محض دُھوکہ تہٕ فریب أُولٰٓئِكَ مَأْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ وَلَا يَجِدُونَ عَنْهَا مَحِيصًا امہٕ قسمک لُوکھ یم شیطانہٕ سنزہ وتہٕ پکن تہندین حُکمن تعمیل کرن تہنز جای چھہ نار جہنّم۔ تُوت واتتھ لبن نہٕ تم تمہِ نشہِ ژلنچ کانہہ صورتھاہ وَالَّذِينَ اٰمَنُوا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ سَنُدْخِلُهُمْ جَنّٰتٍ تَجْرِي مِنْ تَحْتِهَا الْأَنْهٰرُ خٰلِدِينَ فِيهَآ أَبَدًا وِنِ یمہِ لوکو خدایہٕ سندِس لاشریک آسنس پژھ کٔر بیہ کریکھ رژہ عملہ جلدے واتناوو کھ اُسہِ تم تمن باغن منز یمو منزٕ کولہ پکان آسن۔ تمنی باغن منز روزن تم ہمیشہ ابد الآباد وَعْدَ اللّٰهِ حَقًّا یہ چھُو خدایہٕ سُندِ پوز وعدہ وَمَنْ أَصْدَقُ مِنَ اللّٰهِ قِيلًا خدایہٕ سندِ خوتہٕ کُہند وَنُن چھُو زیادہ پوز تہٕ زیادہ صحیح لَيْسَ بِأَمَانِيِّكُمْ وَلَآ أَمَانِيِّ أَهْلِ الْكِتٰبِ ای مسلمانو نجات و سعادتِ اَبدی یمیک وَعدہ کرنہٕ آو سو بنہٕ نہٕ تُہند یو خالی آرزو او سیت نہٕ بنہٕ سُو اہل کتابن ہندیو ژھریو آرزواو سیت بلکہ سپدِ سُو حاصِل صرف ایمانہٕ سیت تہٕ اعمالِ صالحہ سیت مَنْ يَعْمَلْ

وَلَا يَجِدْ لَهٗ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَلِيًّا وَّلَا نَصِيْرًا ﴿۱۲۳﴾ وَمَنْ يَّعْمَلْ مِنَ الصّٰلِحٰتِ مِنْ ذَكَرٍ اَوْ اُنْثٰى وَهُوَ مُؤْمِنٌ فَاُولٰٓئِكَ يَدْخُلُوْنَ الْجَنَّةَ وَلَا يُظْلَمُوْنَ نَقِيْرًا ﴿۱۲۴﴾ وَمَنْ اَحْسَنُ دِيْنًا مِّمَّنْ اَسْلَمَ وَجْهَهٗ لِلّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ وَّاتَّبَعَ مِلَّةَ

---

سُوْٓءًا يُّجْزَ بِهٖ وَلَا يَجِدْ لَهٗ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَلِيًّا وَّلَا نَصِيْرًا پَس یُس شخصاہ اطاعتس منز کمی کران کانہہ تیچھ کوماہ کرِ ہ۔ سواز قسمِ عقائد آسِتن یا از قسمِ اعمال آسِتن تتھ بدلہ یِیہِ تَس ضرور سزا دِنہ آخرِ تس اندر۔ ہر گاہ سو تیچھ کوم از قسمِ عقائد شرکی وکُفری آسہِ تلہِ چھو تمنِ عذاب دائمیس تہ سزاءِ اَبدِیس گرفتار سپدن۔ ہر گاہ سو تیچھ کوم عملی آسہِ تمہِ نشہِ توبہ آسنہِ آمُت کرنہ۔ تتھ خدایہِ سندہ طرفہ بخشائش آسِنہ سپز مژتلہِ یِیہ تَس سزا دِنہ کُنہِ محدودو وقتس تان۔ تمہِ عذابہ نشہِ لبہ نہ سُو خدائیس ورای کانسہِ اَکس کانسہِ دوستس، کانسہِ مددگارس یُس تمس مُوکلاوہ ہا۔ وَمَنْ يَّعْمَلْ مِنَ الصّٰلِحٰتِ مِنْ ذَكَرٍ اَوْ اُنْثٰى وَهُوَ مُؤْمِنٌ بیہِ یُس اکھاہ کانہہ رٹھ کاماہ کرِ ہ۔ مردو اَندرہ یا زنانو اَندرہ باایمان آسِتھ فَاُولٰٓئِكَ يَدْخُلُوْنَ الْجَنَّةَ وَلَا يُظْلَمُوْنَ نَقِيْرًا پَس تِمے لُوکھ واتن جنتس تمن ایِہ نہ کُنہِ قسمہ ظُلم کرنہ تہنز کانہہ صحیح عمل ایِہ نہ ضائع کرنہ یتھہ آیہ کرِ تمس منز آوُ ذکر کرنہ باایمان آسنگ۔ امہِ اندرہ چھوِ مُراد تِمے یم تتھ دِینس پیٹھہ آسَن یُس دِین خدائیس نشہِ منظور تہ مقبول دِین آسہِ۔ سُو گو دِینِ اِسلام "اہلِ اسلام" گے تِمے یمن منز یمِ ترہ صفت آسَن۔ پُورتہ کامِل فرمانبرداری۔ اِخلاص بیہِ اتباعِ ملتِ ابراہیمی۔ چنانچہ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان وَمَنْ اَحْسَنُ دِيْنًا مِّمَّنْ اَسْلَمَ وَجْهَهٗ لِلّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ وَّاتَّبَعَ مِلَّةَ اِبْرٰهِيْمَ حَنِيْفًا کُس اکھاہ چھُو رُت دینہ کِنِ، تمس شخصہ سندہ خوتہ یمِ پننِ گردن دار، پننِ بُتھہ کورُن معبودِ برحقس کُن یعنی فرمانبردار سپُد عقائدن تہ عملَن اندر۔ درحالیکہ سُو آسہِ بااخلاص سارنی کامین اَندر۔ کانہہ عملاہ کرِہ نہ کُنہِ ذاتی مصلحتہ یا ظاہرداری خیطرہ۔ بیہِ کرِہ مُتابعت حضرتِ ابراہیمہ سندِس مِلتس یعنی اِسلامَس۔ یتھہ منز نہ کُنہِ قسمہ ہجر تہ گجی چھُو۔ تمہِ علاوہ تہِ چھُو سُو ملت قابلِ اِتباع تہ

إِبْرٰهِيمَ حَنِيفًا ۗ وَاتَّخَذَ اللّٰهُ إِبْرٰهِيمَ خَلِيلًا ﴿١٢٥﴾ وَلِلّٰهِ مَا فِي
السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ ۚ وَكَانَ اللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ مُّحِيطًا ﴿١٢٦﴾
وَيَسْتَفْتُونَكَ فِي النِّسَآءِ ۖ قُلِ اللّٰهُ يُفْتِيكُمْ فِيهِنَّ ۙ وَمَا
يُتْلٰى عَلَيْكُمْ فِي الْكِتٰبِ فِي يَتٰمَى النِّسَآءِ الّٰتِي لَا
تُؤْتُونَهُنَّ مَا كُتِبَ لَهُنَّ وَتَرْغَبُونَ أَنْ تَنْكِحُوهُنَّ

---

پيروي وَاتَّخَذَ اللّٰهُ إِبْرٰهِيمَ خَلِيلًا ڪيائين الله تعاليٰ ان ڇو اختيار ڪورمت حضرتِ ابراهيم پڻ مخلص
دوست. يه ڪٿه ڇو ظاهر ڪه دوسته سندس طريقس پيٺه پڻ ڇو محبوب ته مقبول آسان. تم تهندِه مليچ
متابعت ڪرن تهندِي خيطره ڇو نجات ته سعادت. الله تعاليٰ سنزي پورا اطاعت ڪرنِ ڇه لازِم ڪيازِه
وَلِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ خدايه سندُوي ڇوتهِ سورُوي يهِ آسمانَن ته زمين اندر ڇو
وَكَانَ اللّٰهُ بِكُلِّ شَيْءٍ مُّحِيطًا بيهِ ڇو الله تعاليٰ پريٿه چيزس احاطه ڪرِ ته پنهِ علمه سيت. امي دون
چيزن پيٺه ڇو وجوب اِطاعتک دار و مدار اکه ڪمالِ سلطنتس پيٺه. بيهِ ڪمالِ اطلاع و علمس پيٺه. تمِ
دوشوے چيز ڇهِ الله تعاليٰ سيِ منز بدرجه اڪمل موجود وَيَسْتَفْتُونَكَ فِي النِّسَآءِ اي پيغمبر برحق
صلي الله عليه وسلم بيهِ حض ڇهِ لُوکه توههِ يتيم زنانَن هندِس نڪاحس متعلق فتوے پرژهان قُلِ اللّٰهُ
يُفْتِيكُمْ فِيهِنَّ تهه فرماويو که الله تعاليٰ ڇو توههِ اجازت دِوان تمن سيت نڪاح ڪرنُک. بشرطيکه تهه
ڪُر دِ تهندِ حقوق پُوره ادا. وَمَا يُتْلٰى عَلَيْكُمْ فِي الْكِتٰبِ فِي يَتٰمَى النِّسَآءِ الّٰتِي لَا تُؤْتُونَهُنَّ
مَا كُتِبَ لَهُنَّ وَتَرْغَبُونَ أَنْ تَنْكِحُوهُنَّ دونِ تمِ آيات پرنه يِوان ڇهِ توههِ پيٺه تمن ڇو
تعلق تمن يتيم زنانن سيت تمن نه تهه سُو پُن حصه دِوان ڇوهِ يُس تهُندِه خيطره مقرر ڪرنه آمت ڇو.
بيهِ ڇوهِ تهه خواهش ٿوان تمن سيت نڪاح ڪرنُک يُتهه تمي بهانه کهيو تهُندِه مال. تمن يتيم زنانن هر
گاه تمهِ مال و جائداده ته حُسن و جماله واجنهِ آسن تلهِ ڇوهِ تمن سيت نڪاح ڪران مگر شريعته مُوجُب يُس
ميراث ته مَهر تهُند حق ڇُو آسان تهِ ڇُو ڪهنه برابر ادا ڪران. اگر صاحب حُسن و جمال تمهِ آسان

وَالْمُسْتَضْعَفِيْنَ مِنَ الْوِلْدَانِ ۙ وَاَنْ تَقُوْمُوْا لِلْيَتٰمٰى بِالْقِسْطِ ۭ وَمَا تَفْعَلُوْا مِنْ خَيْرٍ فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِهٖ عَلِيْمًا ﴿۱۲۷﴾ وَاِنِ امْرَاَةٌ خَافَتْ مِنْۢ بَعْلِهَا نُشُوْزًا اَوْ اِعْرَاضًا فَلَا جُنَاحَ عَلَيْهِمَآ اَنْ يُّصْلِحَا بَيْنَهُمَا صُلْحًا ۭ وَالصُّلْحُ خَيْرٌ ۭ وَاُحْضِرَتِ الْاَنْفُسُ الشُّحَّ ۭ وَاِنْ تُحْسِنُوْا وَتَتَّقُوْا فَاِنَّ اللّٰهَ

---

چھنہ تلہٖ چھوہ تِمن سیت نہ پانہ نکاح کران نہ چھوکھ بیہ کانسہِ سیت نکاح دوان کرنہ۔ کیازِ نتھہ چھوہ آسان کہ تِہنز مال ودولت ماروزِہ نہ تلہٖ اَسہِ نِش وَالْمُسْتَضْعَفِيْنَ مِنَ الْوِلْدَانِ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ حُکم فرماوان ضعیف تہٕ بے کس لوکٹین ہندِ حقہ وَاَنْ تَقُوْمُوْا لِلْيَتٰمٰى بِالْقِسْطِ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ حُکم فرماوان کہ یتیمن ہندِ حقہ کُرِو پریتھہ مُعاملس اندر عدل تہٕ اِنصاف وَمَا تَفْعَلُوْا مِنْ خَيْرٍ فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِهٖ عَلِيْمًا بیہ تھاوِو وارہ یمہِ کتھہِ ہُند خیال کہ یُوسہ رژ کاماہ تُہہ کُرِو یتیمن تہٕ زنانن نسبت تہٕ سورُوی چھُو وارہ پاٹھ اللہ تعالیٰ پُور زانان وَاِنِ امْرَاَةٌ خَافَتْ مِنْۢ بَعْلِهَا نُشُوْزًا اَوْ اِعْرَاضًا بیہ ہرگاہ کانہہ زنانہ کھوژِہ تہٕ اندیشہ کرِہ پنہ نِس خاوندہ سندِس مائِ تہٕ محبت باقی نہ روزہ نِس بے التفاتی کرہ نِس۔ فَلَا جُنَاحَ عَلَيْهِمَآ اَنْ يُّصْلِحَا بَيْنَهُمَا صُلْحًا اتھہ صورتس اندر چھُو نہ کانہہ حرج تِمنِ دوشونِ ہرگاہ یِم پانہ وانِ کُنہِ طریقہ صُلح کرن۔ مثلاً اگر زنانہ یژھان آسہ کہ بوروزہ ہا اَمِسی خاوندس نِشہِ بیہ گوژھہ نہ میہ تراوتِ بیاکھ نکاح کُرن۔ اتھہ صورتس اندر تراوِہ سو پنن کینہہ حقوق یِم تِہندِ مردس پیٹھہ آسن۔ مردس چھُو جایز یِمن کتھن تسلیم کرن تہٕ زنانہ سیت صُلح کرن وَالصُّلْحُ خَيْرٌ تنازعہ خوتہ، جُدائی تہٕ مُوکجارہ خوتہ چھُو صُلحی رُت تہٕ بہتر وَاُحْضِرَتِ الْاَنْفُسُ الشُّحَّ انسانی طبیعتن چھُو سیت تھاونہ بُخل۔ پریتھہ اکھاہ چھُو یژھان خرچس اندر کمی کرنِ۔ ہرگاہ زنانہ اخراجاتن اندر کمی کرِہ۔ مردس بیہ بُو زنہ میہ سُپد مالی فائدہ۔ سُو سپدِہ امس زنانہِ پانس سیت تھونس پیٹھہ راضی۔ دوشونِ باژن ہنز خواہش تہٕ طمع یلہٖ پُورہ سپدِہ دوشوے سپدن صُلحس پیٹھہ راضی وَاِنْ تُحْسِنُوْا وَتَتَّقُوْا فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ

كَانَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرًا ﴿۱۲۸﴾ وَلَنْ تَسْتَطِيْعُوْٓا اَنْ تَعْدِلُوْا
بَيْنَ النِّسَآءِ وَلَوْ حَرَصْتُمْ فَلَا تَمِيْلُوْا كُلَّ الْمَيْلِ فَتَذَرُوْهَا
كَالْمُعَلَّقَةِ ؕ وَاِنْ تُصْلِحُوْا وَتَتَّقُوْا فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ غَفُوْرًا
رَّحِيْمًا ﴿۱۲۹﴾ وَاِنْ يَّتَفَرَّقَا يُغْنِ اللّٰهُ كُلًّا مِّنْ سَعَتِهٖ ؕ وَكَانَ

---

**بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرًا** پس ہر گاہ تہہ ای مردو زنانن سیت احسان کرِو تیچھ سلوک کرنہ نشہِ پتھ رُوزو توہہ بنہِ وہ بوڑ ثواب کیازہ اللہ تعالیٰ چھوِ تہنز ہ سارے کامہِ پورہ زانان تمی موجب دیوہ سُو توہہِ مزورِ۔

**وَلَنْ تَسْتَطِيْعُوْٓا اَنْ تَعْدِلُوْا بَيْنَ النِّسَآءِ** یہِ تتھہ چھہ مُسلم کہِ تہہ ہیکونہ ہر گزوار یہَن زنانَن منز تمَنِ سیت توہہِ نکاح کورمُت آسوہِ پریتھہ چیزس اندر عدل تہ برابری کٔرِتھہ۔ خصوصاً دِلہ چہِ مایہِ تہ مُحبتس اَندر **وَلَوْ حَرَصْتُمْ** اگرچہ تُہندِ دِل آسِتن سو برابری کرنِ سیٹھاہ یژھان مگر چونکہِ دُلک معاملہ چُھونہ کانسہِ پنہ نسِ اختیارس اندر تمہِ مُوکھ چُھونہ دِلہ کِس معاملس اندر باز خواست کینہہ مگر باقی معاملن اندر یم اختیاری چھہِ **فَلَا تَمِيْلُوْا كُلَّ الْمَيْلِ** تمَن اختیاری چیزن اندر گژھہِ نہ اکسی زنانہ کُن سوروُی توجہ تہ رغبت کرن **فَتَذَرُوْهَا كَالْمُعَلَّقَةِ** تمہِ یکطرفہ توجہ کرنہ سیت بیاکھ زنانہ تراوہُون تہہ بالکل الوندہیُو چیزاہ۔ حقوق شرعیو نشہِ بالکل محروم۔ نہ کٔرو تمسندِ حقوق پورہ ادا یمہ سیت سَہ خاوندہ واجن بوزنہ پیِہ ہا۔ نہ لیہِ موکلاوَنہ رتہِ طریقہ تااینکہ بوزنہ پیِہ ہاسو بے نکاح تہ بے خاوند۔ بیاکھ شخصاہ گرِہ ہاتَس سیت نکاح۔ امہِ طریقہ زنانہ الانز تھاونِ یہِ گوتَس نسبت صریح ظلم کرن۔ ہر گاہ پنہ نسِ نکاحس منز تھونِ آسہِ تلہِ تھاویُون رتہِ طریقہ **وَاِنْ تُصْلِحُوْا وَتَتَّقُوْا** تتھہ صورتس اندر ہر گاہ برونٹھہ کنہِ ناگوار مُعاملات آسن پیش آمت تمَن مُعاملاتَن کرو اصلاح آیندہ خیطرہ روزِو تتھیو مُعاملا تو نشہِ بالکل پتھہ۔ برونٹھین مُعاملاتن کرِہ وہ اللہ تعالیٰ تہ درگُذر **فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا** کیازہ اللہ تعالیٰ چھو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن، سیٹھاہ رحم کرہ وَن **وَاِنْ يَّتَفَرَّقَا يُغْنِ اللّٰهُ كُلًّا مِّنْ سَعَتِهٖ وَكَانَ اللّٰهُ وَاسِعًا حَكِيْمًا** وونِ ہر گاہ تمَن دون باژن منز کُنہِ طریقہ موافقت سپدِہ نہ بلکہ سپدَن تم اکھ اکِس نشہِ جُدا اطلاقہ

اللّٰهُ وَاسِعًا حَكِيْمًا ﴿۱۳۰﴾ وَلِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ؕ
وَلَقَدْ وَصَّيْنَا الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِكُمْ وَاِيَّاكُمْ اَنِ
اتَّقُوا اللّٰهَ ؕ وَاِنْ تَكْفُرُوْا فَاِنَّ لِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي
الْاَرْضِ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ غَنِيًّا حَمِيْدًا ﴿۱۳۱﴾ وَلِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ
وَمَا فِي الْاَرْضِ ؕ وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَكِيْلًا ﴿۱۳۲﴾ اِنْ يَّشَاْ يُذْهِبْكُمْ

---

سيت ياخُلعه سيت تتهه منزمه ٿِوَن ـ ٿمَوِ دويَو منزه کانهه يه خيال کهِ ميانه وراي پڇهِ نه ٻئيسِ وَٿي بلکهِ کرهِ الله تعالىٰ پرـيتهه اَکس ـ ٿمَوِ دويَو اَندره ٻيس نشهِ بي نياز ـ کيازهِ الله تعالىٰ ڇهو سيٺهاوسعت ڏول سيٺهاه حِکمتَ ڏول وَلِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ الله تعالىٰ سندوي مُلک ڇهوتهِ سورُوي يه آسمانن اندر ڇهو، يه زمينن اندر ڇهو تَس مالِک حقيقي ته مالِک کُله سنز فرمانبرداري کرنِ ڇهه لازِم ته ضرُوري ـ اَميک حُکم ڇهونه توهي يُوت کرنه يوان وَلَقَدْ وَصَّيْنَا الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِكُمْ وَاِيَّاكُمْ اَنِ اتَّقُوا اللّٰهَ بلکه واقعي طور فرمووَاسهِ اميک حُکم تِمن لُوکن تهِ ٿِمن آسماني کِتاب يعني تورات وانجيل عطا کرنه آيه توههِ برونٺهه ـ توههِ تهِ ڇهو حُکم کرنه يوان کهِ کهوژِ والله تعالىٰ اَس ـ ٿهند سارِي حُکم مانوِ ـ نافرماني نشهِ رُوزِو پَٿهه ـ يَتهه سوره شريفس ڇهوگوڎ کرنه آمُت اَمي حُکمه سيت يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ اتَّقُوْا رَبَّكُمُ ـ وَاِنْ تَكْفُرُوْا يه گَٿهه تهِ آيه تِمن يهودُو نصاريٰ ن بيهِ توهِهِ ته واره بيان کرنه که هر گاه تُهه احکامَن هنز مخالفت کُر تهه کُفر کرو تُميک ڇهونه الله تعالىٰ اَس کانهه پرواته کانهه ضرر فَاِنَّ لِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ کيازِه الله تعالىٰ سندُوي ڇهو ملک تهِ سُورُوي يهِ آسمانَن ته زمينس اندر ڇهو ٿيتهس بڈِس پادشاهَس ڇهونه کانهه نقصان تهنزه نافرماني سيت ـ بلکه نقصان ڇهو توههِ پان پانَس ٿيتهس بڈس شهنشاهِ اَعظمه سنز مُخالفت کرنه سيت ـ وَكَانَ اللّٰهُ غَنِيًّا حَمِيْدًا الله تعالىٰ ڇُهونه کانسهِ هندِس اطاعت و فرمانبرداري کُن مُحتاج ـ سُو ڇهو کاملِ الصفات آسنه مُوکه بذاتِ خود تعريف کرنه آمُت ـ لهٰذا ڇهنه کانسهِ هنزه نافرماني سيت تهندين صِفتن اندر کُنهِ قسمه کمي لبنه يوان وَلِلّٰهِ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَكِيْلًا

أَيُّهَا النَّاسُ وَيَأْتِ بِآخَرِينَ ۚ وَكَانَ اللَّهُ عَلَىٰ ذَٰلِكَ قَدِيرًا ﴿١٣٣﴾ مَنْ كَانَ يُرِيدُ ثَوَابَ الدُّنْيَا فَعِنْدَ اللَّهِ ثَوَابُ الدُّنْيَا وَالْآخِرَةِ ۚ وَكَانَ اللَّهُ سَمِيعًا بَصِيرًا ﴿١٣٤﴾

---

اللہ تعالیٰ سنٛدٕوی چھُو تہٕ سورٕوی یہ آسمانَن اندر تہٕ زمینس اندر چھُو سُوی چھُو تمِن سارنی چیزن اندر قادر مختار، پنہٕ نین فرمانبر دار بندن ہندِہ خیطرٕ ہ چھُو سُو کافی کار ساز سُو تہنٛد کار ساز آسِتھ گُو ہ اکھاہ ہیکہِ تمن فرمانبر دار بندن ضر روا تناوِتھ اِنْ يَّشَاْ يُذْهِبْكُمْ اَيُّهَا النَّاسُ وَيَاْتِ بِاٰخَرِيْنَ اللہ تعالیٰ ـ یمہِ دینہ چہِ کامہِ توہہِ فرماوان چھُو تہِ چھُو سُو تُہنٛدی سعادت تہٕ خیطرٕ ہ فرماوان۔ ورنہ سُو ہیکہِ یہ کوم بین لوکن نشہِ تہِ پُورہ کرناوِتھ تمِس چھہ اَچ پُور قدرت۔ اَی لُوکو توہہِ مہٕ رُوزِنوہ یہِ خیال کہٕ اَسِ چھہِ کمتان۔ ہر گاہ سو یژ توہہِ سارنی کرِہ ووہ ختم توہہِ بدَل انہٕ بین لُوکن تمِنی دَپہِ یہ کوم کرنِ وَكَانَ اللّٰهُ عَلٰى ذٰلِكَ قَدِيْرًا اللہ تعالیٰ چھُو ہمیشہِ پر یتھہ وقتہ اَتھہ پیٹھہ قدرت تہٕ وول۔ کانہہ تہِ ہیکہِ نہ تہنٛدِس حُکمس پتھہ رٹِتھہ ووَنِ ہر گاہ تمِ تہِ یوژھہ نہ یہِ چھُو تمُند بوڈ عِنایت تہٕ مہربانی۔ لہذا زانِو تہٕ تمسندین حُکمن تعمیل کُرن سیٹھاہ غنیمت۔ بیہ پننہِ خیطرٕ ہ بوڈ سعادت۔ دینہ چَن کامین ہُند عوض تہٕ بدلہ بنہِ آخرتسِی اندر۔ لہذا دنیاء س منز دینہ چَن کامین ہُند نفع تہٕ فائدہ نہ بننہ سیت مہٕ آسوِبدَ دِل سپدان مَنْ كَانَ يُرِيْدُ ثَوَابَ الدُّنْيَا یُس اکھاہ دِینٛچ کوم کرِتھہ دنیاء ک ثواب تہٕ نفع تہٕ فائدہ ژھانڈہ سُو چھُو سخت غلطی پیٹھہ فَعِنْدَ اللّٰهِ ثَوَابُ الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ کیازہ اللہ تعالےٰ اَس نشہِ چھُو دُنیاء ک ثواب تہِ آخرِ تک ثواب تہِ۔ یلہِ اللہ تعالیٰ اَس نشہِ اعلیٰ تہٕ ادنیٰ دو شوے چیز بننہ خیطرٕ ہ چھُو شرط با ایمان مرُن۔ اکھہِ پھِرٕ ہ مُر تدسپد نک تہِ چھُو یُوہے حُکم۔ پس کیازہ یہِ پست ہمت بنِت ادنیٰ چیزی تَس نشہِ ژھانڈنہ یہِ چھُونہ تَس پسند۔ وَكَانَ اللّٰهُ سَمِيْعًا بَصِيْرًا اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ بُوزن ووٕل سیٹھاہ وٕ چھن ڈول سارنِی ہنزہ کتھہ، منٛگن تہٕ درخواست کرن چھُو بوزان۔ سارنِی ہنزن نیتن ہُند چھُو تَس پُور علم۔ آخر تک ثواب ژھانڈہ وٕنین دِیہِ سُوی آخر تک ثواب۔ دُنیاء کِ ثواب ژھانڈہ وٕنین دِیہِ دُنیاکُوی ثواب مگر آخرِچہ ثوابہ نشہِ سپدَن تمِ محروم۔ لہذا اگرژھہِ دِینٛچ کُوم یعنی عبادت کرِ ت آخرت تہٕ کِسی ثوابس امید وار روزُن۔ عبادت تہٕ دِینٛچ کوم

يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا كُوْنُوْا قَوّٰمِيْنَ بِالْقِسْطِ شُهَدَآءَ لِلّٰهِ
وَلَوْ عَلٰٓى اَنْفُسِكُمْ اَوِ الْوَالِدَيْنِ وَالْاَقْرَبِيْنَ ۚ اِنْ يَّكُنْ غَنِيًّا
اَوْ فَقِيْرًا فَاللّٰهُ اَوْلٰى بِهِمَا ۖ فَلَا تَتَّبِعُوا الْهَوٰٓى اَنْ تَعْدِلُوْا ۚ
وَاِنْ تَلْوٗٓا اَوْ تُعْرِضُوْا فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرًا ﴿۱۳۵﴾
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اٰمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ وَالْكِتٰبِ الَّذِيْ نَزَّلَ

---

کٔرِ تھ گژھہ نہ دُنیاء ک ثواب تہٕ مزورِ ژھانڈٕنِ۔ اَمہِ اَندرہ چھُو نہ مُراد دُنیا گژھہ نہ ژھانڈُنۍ نہ بلکہ گژھہِ ضرُور ژھانڈن۔ مگر عباد تک معاوضہ نہ بلکہِ گژھہ مُستقل طور خدایس نشہِ دُنیا ضرُور ژھانڈن
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا كُوْنُوْا قَوّٰمِيْنَ بِالْقِسْطِ شُهَدَآءَ لِلّٰهِ اَے با ایمانو سارنی مُعاملاتن اندر اداء کہ وقتہ تہٕ بیہ فیصلہ کربکہِ وقتہ تہِ آسوِ عدلُ واِنصافس پیٹھہ قایم روزان۔ ہر گاہ اقرار یا گواہی دِنچ نوبت پیوان آسہِ تمہِ ساتہ تہِ خدایہِ سنزہ خوشنودی خیطرہ آسوِ پز گواہی، حقیقت حال صاف صاف ظاہر کران
وَلَوْ عَلٰٓى اَنْفُسِكُمْ اگرچہ سو گواہی یا اظہار آسٕن توہہِ پننہِ حقہ مضرِ سپدان اَوِ الْوَالِدَيْنِ وَالْاَقْرَبِيْنَ یا تہندِس مالس ماجہ یا رشتہ دارن مُتعلق مضرِ سپدان اِنْ يَّكُنْ غَنِيًّا اَوْ فَقِيْرًا گواہی دِنکہِ وقتہ مہ آسوِ یمہِ کتھہِ ہُند کانہہ خیال تھاوان کہ یمِس پیٹھہ اَسہِ گواہی دِنِ چھہ سُو چھا امیر کنہِ فقیر۔ تہٕ مہ آسوِ کانسہِ ہنزِ ہ امیری وفیقری کُن وُچھان فَاللّٰهُ اَوْلٰى بِهِمَا اللہ تعالیٰ اَس چھُو تمن دوشونِ سیت تہُندِہ خوتہٕ زیادہ تعلق اللہ تعالیٰ چھُو یژھان اَتھ مُعاملس اندر پُوز پزراوُن فَلَا تَتَّبِعُوا الْهَوٰٓى اَنْ تَعْدِلُوْا لہٰذا مہ کٔرِو تہٕ پیروی پننہِ نفسچہِ خواہشہِ ہنز پزہِ نشہِ ڈلنس اندر وَاِنْ تَلْوٗٓا اَوْ تُعْرِضُوْا فَاِنَّ اللّٰهَ كَانَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرًا ہر گاہ تہٕ گواہی دِوان اَور کُیور وَنوِ۔ صاف صاف پُوز، پُوز وَنوِنہ یا پز گواہی دنہ نشہِ کروانکار۔ یاد تھاوِ زہ اللہ تعالیٰ چھُو تُہنزہ سارے کامہِ پُور زانان۔ سُو دیہِ توہہِ پانۓ پُور سزا يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اٰمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ اَی مُجمل پاٹھہِ ایمان اَنہِ وَنوِ تہٕ بُوزوارہ ضروری عقایدن ہُند تفصیل۔ تہٕ پتہ کٔرِو تمن چیزن پُور پزٕھہ۔ پزٕھہ کٔرِو خدایہِ سندِس ذاتس۔ بیہِ تہندِن سارنی صفتن۔ بیہِ کٔرِو پزٕھ تہندِس

عَلٰى رَسُوْلِهٖ وَالْكِتٰبِ الَّذِیْۤ اَنْزَلَ مِنْ قَبْلُ ؕ وَمَنْ یَّكْفُرْ بِاللّٰهِ وَمَلٰٓىٕكَتِهٖ وَكُتُبِهٖ وَرُسُلِهٖ وَالْیَوْمِ الْاٰخِرِ فَقَدْ ضَلَّ ضَلٰلًۢا بَعِیْدًا ﴿۱۳۶﴾ اِنَّ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا ثُمَّ كَفَرُوْا ثُمَّ اٰمَنُوْا ثُمَّ كَفَرُوْا ثُمَّ ازْدَادُوْا كُفْرًا لَّمْ یَكُنِ اللّٰهُ لِیَغْفِرَ لَهُمْ وَلَا لِیَهْدِیَهُمْ سَبِیْلًا ﴿۱۳۷﴾ؕ بَشِّرِ الْمُنٰفِقِیْنَ بِاَنَّ لَهُمْ عَذَابًا اَلِیْمَا ﴿۱۳۸﴾ الَّذِیْنَ یَتَّخِذُوْنَ الْكٰفِرِیْنَ اَوْلِیَآءَ مِنْ دُوْنِ الْمُؤْمِنِیْنَ ؕ اَیَبْتَغُوْنَ عِنْدَهُمُ

---

پیغمبرس یعنی حضرتِ محمدہ سندِس رِسالتس وَالْكِتٰبِ الَّذِیْ نَزَّلَ عَلٰى رَسُوْلِهٖ بیہ کُرِ وِپڑھہ تتھہ کتابہ یُس کتاب تمِ نازِل کرِ پنہ نِس پیغمبرس پیٹھ یعنی قرآن مجیدس وَالْكِتٰبِ الَّذِیْۤ اَنْزَلَ مِنْ قَبْلُ بیہ تمن سارنی کتابن یمہ تمِ نازِل کرِ قرآن مجیدہ برونٹھ بین پیغمبرن پیٹھ وَمَنْ یَّكْفُرْ بِاللّٰهِ وَمَلٰٓىٕكَتِهٖ وَكُتُبِهٖ وَرُسُلِهٖ وَالْیَوْمِ الْاٰخِرِ یُس شخصاہ اِنکار کرِ خدایہ سندِس ذاتس یا تہندین صفتن بیہ تہندین ملایکن بیہ تہنزن کتابن، یِہہ تہندین پیغمبرن بیہ پتمِس دوہس یعنی قیامتس فَقَدْ ضَلَّ ضَلٰلًۢا بَعِیْدًا پزِ پاٹھِ سُو شخص پیو حقہ نشہِ، علم واقعی نشہِ، بیہ مقصدِ اصلی نشہِ، یعنی نجاتہ نشہِ گمراہی ہندِس سخت چاہس اندر یتھہ نہ دوونتوی چھوکنہ اِنَّ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا ثُمَّ كَفَرُوْا ثُمَّ اٰمَنُوْا ثُمَّ كَفَرُوْا ثُمَّ ازْدَادُوْا كُفْرًا پزِ پاٹھِ یِم لوکھ گوڈہ مُسلمان سپد توہ پتہ بیہ کافر مُرتد تو پتہ سپد بیہ مُسلمان تو پتہ سپد بیہ مُرتد تہ کافر تو پتہ کرکھ زیادتی کُفرس اندر مرنکس دمس تان لَّمْ یَكُنِ اللّٰهُ لِیَغْفِرَ لَهُمْ وَلَا لِیَهْدِیَهُمْ سَبِیْلًا یہ بنہ نہ زانہہ کہ اللہ تعالیٰ کیاہ کرِہ تمنِ مغفرت تہ بخشایش نہ ہاوہ اللہ تعالیٰ تمنِ منزلِ مقصود یعنی جنتس کُن کانہہ وتھاہ۔ کیازِہ مغفرت تہ جنت چھ ایمانس پیٹھ ثابت قدم روزن والین کیتھرہ بَشِّرِ الْمُنٰفِقِیْنَ بِاَنَّ لَهُمْ عَذَابًا اَلِیْمًا خوش خبر بوزہناویو تھ مُنافق یمہ کتھہ ہنز کہ تہندہِ خیطرہ چھو آخرتس اندر سخت دوددِہ دن عذاب تجویز کرنہ آمت اِلَّذِیْنَ یَتَّخِذُوْنَ الْكٰفِرِیْنَ اَوْلِیَآءَ مِنْ دُوْنِ الْمُؤْمِنِیْنَ تم گئے ناتھے یمو کافر بناوِ پنن دوست باایمان تراوتھ اَیَبْتَغُوْنَ عِنْدَهُمُ الْعِزَّةَ تمِ چھا تمنِ نشہِ گرِشھتھ مُعززبن یِڑھان تمنِ نشہِ عزت بیکھ نہ کینہہ فَاِنَّ

الْعِزَّةَ فَاِنَّ الْعِزَّةَ لِلّٰهِ جَمِيْعًا ﴿١٣٩﴾ وَقَدْ نَزَّلَ عَلَيْكُمْ فِى الْكِتٰبِ
اَنْ اِذَا سَمِعْتُمْ اٰيٰتِ اللّٰهِ يُكْفَرُ بِهَا وَيُسْتَهْزَاُ بِهَا فَلَا تَقْعُدُوْا
مَعَهُمْ حَتّٰى يَخُوْضُوْا فِىْ حَدِيْثٍ غَيْرِهٖٓ ۖ اِنَّكُمْ اِذًا مِّثْلُهُمْ ۗ
اِنَّ اللّٰهَ جَامِعُ الْمُنٰفِقِيْنَ وَالْكٰفِرِيْنَ فِىْ جَهَنَّمَ جَمِيْعًا ﴿١٤٠﴾
الَّذِيْنَ يَتَرَبَّصُوْنَ بِكُمْ ۚ فَاِنْ كَانَ لَكُمْ فَتْحٌ مِّنَ اللّٰهِ قَالُوْٓا
اَلَمْ نَكُنْ مَّعَكُمْ ۖ وَاِنْ كَانَ لِلْكٰفِرِيْنَ نَصِيْبٌ ۙ قَالُوْٓا اَلَمْ

---

الْعِزَّةَ لِلّٰهِ جَمِيْعًا كيازه سوڙي عزت ڇو ته خدا ئي اٿِس سوئي ئي عزت ڀرِ ڏئي ٿو بِنهِ تِس عزت
وَقَدْ نَزَّلَ عَلَيْكُمْ فِى الْكِتٰبِ اَنْ اِذَا سَمِعْتُمْ اٰيٰتِ اللّٰهِ يُكْفَرُ بِهَا وَيُسْتَهْزَاُ بِهَا فَلَا تَقْعُدُوْا مَعَهُمْ اي
مُسلمانو ته مَه آسِو مُنافقن هِندَ پاڙهِ ڪافرن سيت ڪانهه تعلق ٿاوان خصوصاً سِمهِ وَقتهِ تِم ڪُفريا تن هِندُ
تذڪرِه ڪران آسَن۔ چنانچه سِمهِ بروٺه ته ڇُھو الله تعاليٰ اَن سوره انعامَس اندر حُڪم نازِل ڪو رمُت توهِ
پيٺه ڪه يله ڪُنهِ مجلسه اندر خدا يِه سندين آيات واحڪامن نسبت اِنڪاريا ٺٺه آسه يوان ڪرنه تته مجلسِه منز
آسِز نه تِهٕه تِمن سيت بهان حَتّٰى يَخُوْضُوْا فِىْ حَدِيْثٍ غَيْرِهٖٓ يُوتتان نه تِم بيه ڪانهه بدَل ڪٿاه ٽُلان ته
شروع ڪران آسَن اِنَّكُمْ اِذًا مِّثْلُهُمْ ورنه سپدِو تِهٕه تِمنی ہی گُنهس اَندر۔ اَتهه منز ڇھِ نِمَن ڪافِر ته
پُوشيده ڪافِر يعني مُنافق برابر۔ چنانچه سزاءِ ڪُفر يعني نار جهنّم تته منز ته ڇھِ برابر اِنَّ اللّٰهَ جَامِعُ
الْمُنٰفِقِيْنَ وَالْكٰفِرِيْنَ فِىْ جَهَنَّمَ جَمِيْعًا بيشڪ الله تعاليٰ ڇھو سو نبره ڏن ته جمع ڪره ڏن مُنافقن ته
ڪافِرن نارِ جهنمس منز اِڪه وَٽه الَّذِيْنَ يَتَرَبَّصُوْنَ بِكُمْ تِم منافق پياران ته اميد وار ڇھِ آسان
تهندِ س نُقصانَس فَاِنْ كَانَ لَكُمْ فَتْحٌ مِّنَ اللّٰهِ قَالُوْٓا اَلَمْ نَكُنْ مَّعَكُمْ تو پته اگر توهِ حاصِل سپدان ڇھَ
خدا يه سندِه طرفه ڪانهه فتحاه تِمهِ ساته ڇھِ تُهندي بنتهِ توهِ وَنان اُسِ آس نا توهي سيت جهادس، منز شريڪ
اَسه ته ديو ڪينهه مال غنيمته اندره وَاِنْ كَانَ لِلْكٰفِرِيْنَ نَصِيْبٌ هرگاه ڪافِرن حاصِل سپدِه غلبُڪ ڪانهه
حِصّا تِمهِ ساته ڇھِ تِمن نشِهِ گژهتهِ تِمن وَنان قَالُوْٓا اَلَمْ نَسْتَحْوِذْ عَلَيْكُمْ وَنَمْنَعْكُمْ مِّنَ الْمُؤْمِنِيْنَ

نَسْتَحْوِذْ عَلَيْكُمْ وَنَمْنَعْكُمْ مِّنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ؕ فَاللّٰهُ يَحْكُمُ بَيْنَكُمْ
يَوْمَ الْقِيٰمَةِ ؕ وَلَنْ يَّجْعَلَ اللّٰهُ لِلْكٰفِرِيْنَ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ سَبِيْلًا ﴿۱۴۱﴾ ع
اِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ يُخٰدِعُوْنَ اللّٰهَ وَهُوَ خَادِعُهُمْ ۚ وَاِذَا قَامُوْٓا
اِلَى الصَّلٰوةِ قَامُوْا كُسَالٰى ۙ يُرَآءُوْنَ النَّاسَ وَلَا يَذْكُرُوْنَ
اللّٰهَ اِلَّا قَلِيْلًا ﴿۱۴۲﴾ ۙ مُّذَبْذَبِيْنَ بَيْنَ ذٰلِكَ ۖ ق لَآ اِلٰى هٰٓؤُلَآءِ وَلَآ
اِلٰى هٰٓؤُلَآءِ ؕ وَمَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَلَنْ تَجِدَ لَهٗ سَبِيْلًا ﴿۱۴۳﴾ يٰٓاَيُّهَا

---

کیا اَسِ ہیرٕ ان نا توہہِ پیٹھ غالِب سپدِن کیاہ اَسہِ بچاوو ناتہٕ مُسلمانن نِش اَسہِ کو رنہ زانتھ کرِ تھ توہہِ بچاونہ خیطرٕ مُسلمانن مَدَ د سُو طریقہ کور اختیار یمہ سیت جنگک حال بدلیو وتہٕ سپدِ وہ غالِب لہٰذا دِیو اَسہِ تہٕ کینہہ حاصِل کرمَتہِ مالہ اندرہ غرض کہ دو شوی طرفو آسِ تمِ مال حاصِل کران - دُنیاء سِ اندرے تمِ اپزٕ مُسلمان بنِتھ زندگی بسر کران آسِ مگر **فَاللّٰهُ يَحْكُمُ بَيْنَكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ** اللہ تعالیٰ کرِہ فیصلہ توہہِ تہٕ تمن منز قیامتک دُوہ **وَلَنْ يَّجْعَلَ اللّٰهُ لِلْكٰفِرِيْنَ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ سَبِيْلًا** تہٕ فیصلس منز دِیہِ نہٕ اللہ تعالیٰ ہرگز کافِرَن مُسلمانن پیٹھہ غالِب سپدنٕچ کانہہ وتھاہ **اِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ يُخٰدِعُوْنَ اللّٰهَ** پزِ پاٹھہ مُنافق چھہِ اَمہ دُور نگی چالہِ سیت دُھوکہ دِوان پننہِ خیالہ خدایس **وَهُوَ خَادِعُهُمْ** سُو چھُو تمن اَمی قسمہ امیُک بدلہ تہٕ سزا دِنہ وول - چونکہ تہندین دِلن اندر چھُو نہ ایمان کُنہی تمہِ مُوکھ چھنہِ تمِ نماز فرض زانان نہ چھُو تمن نمار پرنس پیٹھہ کُنہ ثوابُک اِعتقاد تمہِ مُوکھ چھہ تہندِ حال **وَاِذَا قَامُوْٓا اِلَى الصَّلٰوةِ قَامُوْا كُسَالٰى** یلہِ تمِ منافق ووتھان چھہِ نمازہ کُن ووتھان چھہِ سیٹھاہ سُستی سان کیازِہ دلچسپی تہٕ فرحت چھہ اعتقادہ تہٕ اُمیدواری سیت پیدہ سپدان **يُرَآءُوْنَ النَّاسَ وَلَا يَذْكُرُوْنَ اللّٰهَ اِلَّا قَلِيْلًا** تمِ چھہ نماز پران فقط لُوکن ہاونہ خیطرٕ خدایہ سُند یاد چھنہِ تمِ کران مگر زیوٕ سیتی سُو تہِ کمی **مُّذَبْذَبِيْنَ بَيْنَ ذٰلِكَ** کافِرن تہٕ باایمانن درمیان چھہِ تمِ الاندِ - مترٕدّد تہٕ حیران - نہ اور تہٕ نہ یُور - **لَآ اِلٰى هٰٓؤُلَآءِ وَلَآ اِلٰى هٰٓؤُلَآءِ** نہ چھہِ یم مُسلمانن سیت نہ چھہِ یم تہندین دُشمن یعنی کافِرَن سیت **وَمَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَلَنْ تَجِدَ لَهٗ سَبِيْلًا**

الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّخِذُوا الْكٰفِرِيْنَ اَوْلِيَآءَ مِنْ دُوْنِ الْمُؤْمِنِيْنَ ؕ اَتُرِيْدُوْنَ اَنْ تَجْعَلُوْا لِلّٰهِ عَلَيْكُمْ سُلْطٰنًا مُّبِيْنًا ﴿١٤٤﴾ اِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ فِي الدَّرْكِ الْاَسْفَلِ مِنَ النَّارِ ۚ وَلَنْ تَجِدَ لَهُمْ نَصِيْرًا ﴿١٤٥﴾ اِلَّا الَّذِيْنَ تَابُوْا وَاَصْلَحُوْا وَاعْتَصَمُوْا بِاللّٰهِ وَاَخْلَصُوْا دِيْنَهُمْ لِلّٰهِ فَاُولٰٓئِكَ مَعَ الْمُؤْمِنِيْنَ ؕ وَسَوْفَ يُؤْتِ اللّٰهُ الْمُؤْمِنِيْنَ اَجْرًا عَظِيْمًا ﴿١٤٦﴾ مَا يَفْعَلُ اللّٰهُ بِعَذَابِكُمْ

---

تمن الله تعالى وٽهه راوره ٿهنده خيطره لبُونه ٿهه هدايچ ته بايمان بنه ڃ كا نهه وتهاه يٰاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّخِذُوا الْكٰفِرِيْنَ اَوْلِيَآءَ مِنْ دُوْنِ الْمُؤْمِنِيْنَ اى بايمانومه بناؤيوكه كافر ته مُنافق پنن دوست بايمان تراوِت اَتُرِيْدُوْنَ اَنْ تَجْعَلُوْا لِلّٰهِ عَلَيْكُمْ سُلْطٰنًا مُّبِيْنًا كياه ٿُهه ڇهوِه يڙهان تمن سيت دُوستانه لاگٿه پانس پيٺهه خدايه سندنونُ الزام هيون ته پنُن پان خوامخواه مجرم ته مُستحق عذاب بناؤن اَسِه يلهِ توهه اڇ مُمانعت كرٿهِ كيازِه ٿهاووِ تمن سيت دُوستى اِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ فِي الدَّرْكِ الْاَسْفَلِ مِنَ النَّارِ پڙپاٺِ مُنافق آسن جهنمه كِس بوٚمِس طبقس اندر ژكس تل وَلَنْ تَجِدَ لَهُمْ نَصِيْرًا يهه لبهن نه ژه اى مخاطِب يهنده خيطره كانهه مددگاراه يُس تمن عذابه نِشه بچاوِ ته هيكهِ اِلَّا الَّذِيْنَ تَابُوْا وَاَصْلَحُوْا وَاعْتَصَمُوْا بِاللّٰهِ وَاَخْلَصُوْا دِيْنَهُمْ لِلّٰهِ مگر يم تموِ اندره نفاقه نِشه تُوبه گرن بيه يم رِ ياتراوِته پنُن دين كور خالِص خدايه سندِه رضا خيطرے يعنى يم پنه نين عقائدن اخلاقن ته اعمالن اصلاح كرن فَاُولٰٓئِكَ مَعَ الْمُؤْمِنِيْنَ پسَ يم توبه كره ونِ لُوكه آسَن بايمانن سيت جنته كين درجن منز آخر تس اندر وَسَوْفَ يُؤْتِ اللّٰهُ الْمُؤْمِنِيْنَ اَجْرًا عَظِيْمًا الله تعالى دِيه آخر تس اندر كامِل بايمانن بڈمزورِ-ووَنِ يم توبه كره ونِ ڇهِ تمن ته كرِه الله تعالى بڈمزور عطا- مَا يَفْعَلُ اللّٰهُ بِعَذَابِكُمْ اِنْ شَكَرْتُمْ وَاٰمَنْتُمْ وَكَانَ اللّٰهُ شَاكِرًا عَلِيْمًا الله تعالى كياه كرِه توهه عذابس گرفتار كرِته- هرگاه تمسندين نعمتن هُنز ٿهه

إِنْ شَكَرْتُمْ وَآمَنْتُمْ ۚ وَكَانَ اللَّهُ شَاكِرًا عَلِيمًا ﴿١٤٧﴾
لَا يُحِبُّ اللَّهُ الْجَهْرَ بِالسُّوءِ مِنَ الْقَوْلِ إِلَّا مَنْ ظُلِمَ ۚ
وَكَانَ اللَّهُ سَمِيعًا عَلِيمًا ﴿١٤٨﴾ إِنْ تُبْدُوا خَيْرًا أَوْ تُخْفُوهُ أَوْ تَعْفُوا
عَنْ سُوءٍ فَإِنَّ اللَّهَ كَانَ عَفُوًّا قَدِيرًا ﴿١٤٩﴾ إِنَّ الَّذِينَ يَكْفُرُونَ
بِاللَّهِ وَرُسُلِهِ وَيُرِيدُونَ أَنْ يُفَرِّقُوا بَيْنَ اللَّهِ وَرُسُلِهِ
وَيَقُولُونَ نُؤْمِنُ بِبَعْضٍ وَنَكْفُرُ بِبَعْضٍ وَيُرِيدُونَ أَنْ

شکر گذاری کرِو بیہ یلہِ تس پڑھ کرِو الله تعالیٰ چھُو لوکن ہنزن عملن ہُند قدر دان تمس چھہ سارنئی ہندہ
حالچ پُور خبر - سُو چھُو زانان کُوہ کمہ نیتہ چھُو عبادت کران۔ کُسندِس دِلس اندر کو تاہ خلوص چھُو لَا يُحِبُّ
اللَّهُ الْجَهْرَ بِالسُّوءِ مِنَ الْقَوْلِ إِلَّا مَنْ ظُلِمَ الله تعالیٰ چھُو نہ پسند کران کانسہِ ہنز یچھ کتھ زیوہِ
پیٹھ ہین تہ مشہُور کرنِ مظلومَس وَرای یعنی یس ظُلم کرنہ آسہ آمُت - سُو ظالمہ سنزہ یچھہ کتھہ مشہُور
کرہِ تس چھُو نہ کانہہ گُناہ وَكَانَ اللَّهُ سَمِيعًا عَلِيمًا الله تعالیٰ چھُو مظلومہ سُند فریاد بُوزہ وُن - ظالمہ سُند
حال پُورہ زانہ وُن إِنْ تُبْدُوا خَيْرًا أَوْ تُخْفُوهُ أَوْ تَعْفُوا عَنْ سُوءٍ فَإِنَّ اللَّهَ كَانَ عَفُوًّا قَدِيرًا هر گاہ رٹ
کوم نِ پاٹھ کرِ ویا پُوشیدہ پاٹھ یا کانسہ ہنزہ بدی درگُذر کرِو سو چھہ رٹ کوم - پس الله تعالیٰ چھُو سیٹھاہ درگُذر
کرہ وُن سیٹھاہ قُدرت تہ ؤول - باوجُود قُدرت چھُو درگُذر کران لہٰذا آسو تُہہ تہ درگُذر کران - تتھہ بدل کرِہ
الله تعالیٰ تہندین گنہن درگُذر إِنَّ الَّذِينَ يَكْفُرُونَ بِاللَّهِ وَرُسُلِهِ بے شک یِم انکار چھِ کران خدایس
تہ تہندین پیغمبرن وَيُرِيدُونَ أَنْ يُفَرِّقُوا بَيْنَ اللَّهِ وَرُسُلِهِ بیہ یِم یژھان چھِہ فرق کرنِ باعتبار
ایمان - خدایس تہ تہندین پیغمبرن اندر یعنی خدایس کرہ ہن یژھ، تہندین بعضی پیغمبرن کرہ ہن اِنکار
وَيَقُولُونَ نُؤْمِنُ بِبَعْضٍ وَنَكْفُرُ بِبَعْضٍ بیہ چھِہ تِم پانہ اقرار کران کہ اسِ چھِہ بعضی پیغمبرن ایمان
انان بعضین چھِہ کران اِنکار وَيُرِيدُونَ أَنْ يَتَّخِذُوا بَيْنَ ذَٰلِكَ سَبِيلًا بیہ چھِہ یژھان کُفرس تہ
ایمانس درمیان اکھ ترِیم وَتھ کڈنِ أُولَٰئِكَ هُمُ الْكَافِرُونَ حَقًّا امہِ قسمک لوکھ یِم خدایس ایمان

يَّتَّخِذُوْا بَيْنَ ذٰلِكَ سَبِيْلًا ﴿١٥٠﴾ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْكٰفِرُوْنَ حَقًّا ۚ وَ
اَعْتَدْنَا لِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابًا مُّهِيْنًا ﴿١٥١﴾ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاللّٰهِ وَ
رُسُلِهٖ وَلَمْ يُفَرِّقُوْا بَيْنَ اَحَدٍ مِّنْهُمْ اُولٰٓئِكَ سَوْفَ يُؤْتِيْهِمْ اُجُوْرَهُمْ ؕ
وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ﴿١٥٢﴾ ع يَسْئَلُكَ اَهْلُ الْكِتٰبِ اَنْ تُنَزِّلَ
عَلَيْهِمْ كِتٰبًا مِّنَ السَّمَآءِ فَقَدْ سَاَلُوْا مُوْسٰٓى اَكْبَرَ مِنْ ذٰلِكَ
فَقَالُوْٓا اَرِنَا اللّٰهَ جَهْرَةً فَاَخَذَتْهُمُ الصّٰعِقَةُ بِظُلْمِهِمْ ۚ ثُمَّ
اتَّخَذُوا الْعِجْلَ مِنْ بَعْدِ مَا جَآءَتْهُمُ الْبَيِّنٰتُ فَعَفَوْنَا عَنْ

---

اُنن پيغمبرن تهندين کرن انکار، يا اڏين پيغمبرن کرن پڙهه ته اڏين کرن انکار ڇهه يقيناً کافر وَاَعْتَدْنَا لِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابًا مُّهِيْنًا اسه ڇهو کافرن هنده خيطره عذاباه ذليل کره‌ؤن تيار تهوومت سُوی عذاب ييه تمن تهِ کرنه- وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاللّٰهِ وَرُسُلِهٖ وَلَمْ يُفَرِّقُوْا بَيْنَ اَحَدٍ مِّنْهُمْ وون گئيه تم لوکهيمو پڙهه کر کُنس خُدا ايس بيه تهندين پيغمبرن بيه کرکهنه کانهه فرق تمن اندر پڙهه کربحهِ اعتباره ايمان انه بحهِ اعتباره اُولٰٓئِكَ سَوْفَ يُؤْتِيْهِمْ اُجُوْرَهُمْ يمنی لوکن کِياه کرهِ الله تعالی آخرتس اندر مزدورِ پنن عطايُوسه تمن شوُبهِ وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا الله تعالی ڇهو سيٹهاه مغفرت کره‌ؤن، سيٹهاه رحم کره‌ون يَسْئَلُكَ اَهْلُ الْكِتٰبِ اَنْ تُنَزِّلَ عَلَيْهِمْ كِتٰبًا مِّنَ السَّمَآءِ اى پيغمبر برحق اہل کتاب يعنی يهود ڇهِ درخواست کران توہه که تہه والو تمن پيٹهه کِتاباه آسمانه پيٹهه -اتهه اهندِس وَنه نس مه کرِ واعتبار فَقَدْ سَاَلُوْا مُوْسٰٓى اَكْبَرَ مِنْ ذٰلِكَ پس بتحقيق درخواست ته سُوال کُور تموَ حضرتِ موسٰی آس امه خو ته بڈه چيزک فَقَالُوْٓا اَرِنَا اللّٰهَ جَهْرَةً پس وون تمو حضرت موسٰی اس که اَسه هاويُون الله تعالی نِ پاٹهِ، بے حجاب- تاينکهِ اسِ وچهون سُو پنه نيو اڇهوَ فَاَخَذَتْهُمُ الصّٰعِقَةُ بِظُلْمِهِمْ چنانچهِ اَتهه گستاخی پيٹهه رٹ تم ترٹهِ- پننهِ ظُلمه ته شرارته سبهه- تو پته گے حضرتِ موسٰی سنده دعا سيت بيه زنده ثُمَّ اتَّخَذُوا الْعِجْلَ مِنْ بَعْدِ مَا جَآءَتْهُمُ

ذٰلِكَ ۚ وَاٰتَيْنَا مُوْسٰى سُلْطٰنًا مُّبِيْنًا ﴿١٥٣﴾ وَرَفَعْنَا فَوْقَهُمُ
الطُّوْرَ بِمِيْثَاقِهِمْ وَقُلْنَا لَهُمُ ادْخُلُوا الْبَابَ سُجَّدًا وَّقُلْنَا
لَهُمْ لَا تَعْدُوْا فِي السَّبْتِ وَاَخَذْنَا مِنْهُمْ مِّيْثَاقًا غَلِيْظًا ﴿١٥٤﴾
فَبِمَا نَقْضِهِمْ مِّيْثَاقَهُمْ وَكُفْرِهِمْ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَقَتْلِهِمُ الْاَنْۢبِيَآءَ
بِغَيْرِ حَقٍّ وَّقَوْلِهِمْ قُلُوْبُنَا غُلْفٌ ۭ بَلْ طَبَعَ اللّٰهُ عَلَيْهَا بِكُفْرِهِمْ

---

الْبَيِّنٰتُ کوڙھ بياکھ شرارت - ووڙھ بنوڈ کھ معبود پنن - حق و باطلچہِ کاڙاہنہِ دليلہ تمن نشہِ واتنہ پتہ يعني معجزاتِ حضرتِ موسیٰ عليہ السلام فَعَفَوْنَا عَنْ ذٰلِكَ پس کور بيہِ اَسہِ تمن اتھہ جرمس تہِ عفوتہِ درگذر تھُند توبہ کور بيہِ قبول وَاٰتَيْنَا مُوْسٰى سُلْطٰنًا مُّبِيْنًا بيہِ کور عطا اَسہِ حضرتِ موسیٰ اَس نون غلبہ، بيہِ کافی رُعب - مگر نہ کرسانِ عفوتہ درگذر کرن کانہہ اَثر تمن پيٹھ نہ حضرتِ موسیٰ سندِ رُعبن - بلکہِ رُودِ تِم بدستور پنہ نِس شرارتس پيٹھہ تہ نافرمانی پيٹھہ - وَرَفَعْنَا فَوْقَهُمُ الطُّوْرَ بِمِيْثَاقِهِمْ بيہِ تُل اَسہِ کوہِ طُور تمن نشہِ عہد رٹنہ خيطرہ تمن پيٹھ کُن - مُعلّق تہ الوَند تھوو تمن سيدہ سيُود وَقُلْنَا لَهُمُ ادْخُلُوا الْبَابَ سُجَّدًا بيہِ کُر اَسہِ، حُکم تمن شہر کہِ دروازہ کن اَڑِو خدايس کُن نمِتھ - وَّقُلْنَا لَهُمْ لَا تَعْدُوْا فِي السَّبْتِ بيہِ کريوڈ حکم اَسہِ تمن بٹہ وارہ دُوہ مہ ڈلو سانہ حکمہ نشہِ گاڈہ رٹنس اَندر وَاَخَذْنَا مِنْهُمْ مِّيْثَاقًا غَلِيْظًا بيہِ کرہ ناوِ اَسہِ تِم وارہ پاٹھہِ عہد تہ اِقرار مگر تموِ پھُٹھر اوِ ساری عہد تہ اِقرار فَبِمَا نَقْضِهِمْ مِّيْثَاقَهُمْ وَكُفْرِهِمْ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ پس اَمی سبہ کہِ تموِ کيا پھٹر ووسُوپنن عہد - بيہِ کوڙھ اِنکار خدايہِ سندين آياتن وَقَتْلِهِمُ الْاَنْۢبِيَآءَ بِغَيْرِ حَقٍّ بيہِ کُرِ کھ شہيد حضراتِ انبياء ناحق، کُرِ اَسہ تِم عذابس گرفتار - وَّقَوْلِهِمْ قُلُوْبُنَا غُلْفٌ بيہِ تھندہِ يہِ وننہ مُوکھ کہ سانِ دِل چھہِ محفوظ تمن کرہ نہ کانہہ بياکھ مُخالف دِين يعني اسلام کُنہِ قسمہ اَثر - يہِ وننہ اَندرہ چھُو تھُند مُراد کہ اَسِ چھہِ پنہ نِس مذہبس پيٹھ مضبوط تہ پختہ - بَلْ طَبَعَ اللّٰهُ عَلَيْهَا بِكُفْرِهِمْ مضبوطی و پختہ گی چھنہ کينہ بلکہ چھہِ اللہ تعالیٰ اَن تھندہِ کُفرہ سبہ تھندين دِلن پيٹھہ شرُوک دِيو تُمت تہ مُہر کرمژ - تااِينکہ پزہِ کتھہ ہُند اَثر چھُونہ يہندين دِلن پيٹھہ سپدان

فَلَا يُؤۡمِنُوۡنَ اِلَّا قَلِيۡلًا ﴿۱۵۵﴾ وَّبِكُفۡرِهِمۡ وَقَوۡلِهِمۡ عَلٰى مَرۡيَمَ بُهۡتَانًا
عَظِيۡمًا ﴿۱۵۶﴾ وَّقَوۡلِهِمۡ اِنَّا قَتَلۡنَا الۡمَسِيۡحَ عِيۡسَى ابۡنَ مَرۡيَمَ رَسُوۡلَ
اللّٰهِ‌ۚ وَمَا قَتَلُوۡهُ وَمَا صَلَبُوۡهُ وَلٰـكِنۡ شُبِّهَ لَهُمۡ‌ؕ وَاِنَّ الَّذِيۡنَ
اخۡتَلَفُوۡا فِيۡهِ لَفِىۡ شَكٍّ مِّنۡهُ‌ؕ مَا لَهُمۡ بِهٖ مِنۡ عِلۡمٍ اِلَّا اتِّبَاعَ
الظَّنِّ‌ۚ وَمَا قَتَلُوۡهُ يَقِيۡنًا ۢ ﴿۱۵۷﴾ بَلۡ رَّفَعَهُ اللّٰهُ اِلَيۡهِ‌ؕ وَكَانَ اللّٰهُ عَزِيۡزًا
حَكِيۡمًا ﴿۱۵۸﴾ وَاِنۡ مِّنۡ اَهۡلِ الۡكِتٰبِ اِلَّا لَيُؤۡمِنَنَّ بِهٖ قَبۡلَ مَوۡتِهٖ‌ۚ

---

فَلَا يُؤۡمِنُوۡنَ اِلَّا قَلِيۡلًا پس ایمان اَنن نہ تِم مگر کمی۔ سُو کم ایمان قابل قبول چھُو نہ لہذا چھِہ تِم بے ایمان تہٕ کافرے وَّبِكُفۡرِهِمۡ وَقَوۡلِهِمۡ عَلٰى مَرۡيَمَ بُهۡتَانًا عَظِيۡمًا بیہِ گَرِ اَسہٕ تِم عذابس گرفتار تِہندِ کُفرہ سببہٕ۔ بیہِ حضرتِ مریمس پیٹھ بڑا اپزٕ تہٕ بُہتان نوورِاونہ سببہٕ وَّقَوۡلِهِمۡ اِنَّا قَتَلۡنَا الۡمَسِيۡحَ عِيۡسَى ابۡنَ مَرۡيَمَ رَسُوۡلَ اللّٰهِ ۔بیہِ یہِ دعوی کرنہ سببہٕ کہِ اَسہٕ مُور حضرت مسیح عیسی حضرتِ مریم سُندپُچھو پیغمبر خدا وَمَا قَتَلُوۡهُ وَمَا صَلَبُوۡهُ حالانکہِ یہِ چھِہ تِم محض غلط تہٕ اُپزٕ وٕنان۔ حقیقت چھِہ کہِ نہٕ مُور سُو تِموٕ نہٕ دیُو تِکھ چھِہ وَلٰـكِنۡ شُبِّهَ لَهُمۡ بلکہِ آو بیاکھ شخص تِمن ہیُو بناونہٕ۔ سُوی ڈکھور تِموٕ کاٹھس۔ سُوی شخص دیُو تِکھ چھِہ وَاِنَّ الَّذِيۡنَ اخۡتَلَفُوۡا فِيۡهِ لَفِىۡ شَكٍّ مِّنۡهُ پنزٕ پاٹھِہ یِم اَتھ منز اختلاف کران چھِہ اہل کتابو اَندرٕ تِم چھِہ بڑس شکس تہٕ غلط خیالس منز پیمتِ مَا لَهُمۡ بِهٖ مِنۡ عِلۡمٍ چھنہ تِمن اَچ کانہہ خبراہ اِلَّا اتِّبَاعَ الظَّنِّ تخمینی تہٕ قیاسِی کتھن پیروی کرنہ ورای وَمَا قَتَلُوۡهُ يَقِيۡنًا * بَلۡ رَّفَعَهُ اللّٰهُ اِلَيۡهِ حقیقت چھِہ یہِ کہِ ہرگز کرِ نہ تِموٕ یہُودَو حضرتِ عیسیٰ شہید۔ بلکہِ کھارِ تِم اللہ تعالی ان پانس کُن آسمانس پیٹھ وَكَانَ اللّٰهُ عَزِيۡزًا حَكِيۡمًا اللہ تعالی چھُو ہمیشہِ سارنی پیٹھ غالب حکمتہٕ ڈول پننہِ قُدرتہٕ سیت تہٕ حکمتہٕ سیت مُوکہ لوٗن حضرتِ عیسیٰ علیہ السلام تِہندِ شرہ نِشہ وَاِنۡ مِّنۡ اَهۡلِ الۡكِتٰبِ اِلَّا لَيُؤۡمِنَنَّ بِهٖ قَبۡلَ مَوۡتِهٖ پنزِ پاٹھِ اہلِ کتابو اَندرٕ کینہہ لُوکھ اَنن ضرور حضرتِ عیسیٰ اَس ایمان تِہندٕ مرنہ برونٹھ امہِ اَندرٕ تہٕ چھُو معلُوم سپدانکہ ونہِ چھِنہ تِم مومتِ کینہہ بلکہِ چھِہ ونہِ زندٕے آسمانس پیٹھ وَيَوۡمَ الۡقِيٰمَةِ يَكُوۡنُ عَلَيۡهِمۡ

وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ يَكُوْنُ عَلَيْهِمْ شَهِيْدًا ﴿۱۵۹﴾ فَبِظُلْمٍ مِّنَ الَّذِيْنَ هَادُوْا حَرَّمْنَا عَلَيْهِمْ طَيِّبٰتٍ اُحِلَّتْ لَهُمْ وَبِصَدِّهِمْ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ كَثِيْرًا ﴿۱۶۰﴾ وَّاَخْذِهِمُ الرِّبٰوا وَقَدْ نُهُوْا عَنْهُ وَاَكْلِهِمْ اَمْوَالَ النَّاسِ بِالْبَاطِلِ ۭ وَاَعْتَدْنَا لِلْكٰفِرِيْنَ مِنْهُمْ عَذَابًا اَلِيْمًا ﴿۱۶۱﴾ لٰكِنِ الرّٰسِخُوْنَ فِي الْعِلْمِ مِنْهُمْ وَالْمُؤْمِنُوْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ وَمَآ اُنْزِلَ مِنْ قَبْلِكَ وَالْمُقِيْمِيْنَ الصَّلٰوةَ وَالْمُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَالْمُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ ۭ اُولٰۗىِٕكَ سَنُؤْتِيْهِمْ اَجْرًا عَظِيْمًا ﴿۱۶۲﴾ ع

---

**شَهِيْدًا** قیامتک دُوہ دِن تم یعنی حضرت عیسیٰ تمن یہودن ہندہ اِنکار کرنچ گواہی **فَبِظُلْمٍ مِّنَ الَّذِيْنَ هَادُوْا حَرَّمْنَا عَلَيْهِمْ طَيِّبٰتٍ اُحِلَّتْ لَهُمْ** پس یہودن ہندیو ظلموتہ نافرمانیو سببہ کراس حرام تمن پیٹھہ رت رِت لذیذ تہ مُفید چیز یم تمن پیٹھہ حلال آسِ برونٹھہ **وَبِصَدِّهِمْ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ كَثِيْرًا** ۔بیہ تہندِہ واریہن لُوکن خدایہ سنزہ وَتہِ یعنی دینِ حقہ نِشہ پتھہ رٹنکہ سببہ۔ **وَّاَخْذِهِمُ الرِّبٰوا وَقَدْ نُهُوْا عَنْهُ** بیہ سُود ہینہ خیطرہ۔ حالانکہِ تمہِ نشہِ اُوس تمن منع آمُت کرنہ توراتس اَندر **وَاَكْلِهِمْ اَمْوَالَ النَّاسِ بِالْبَاطِلِ** بیہِ تہندِہ ورای لُوکن ہُند مال ناحق مشروع ذرایعو ورای کھینہ خیطرہ **وَاَعْتَدْنَا لِلْكٰفِرِيْنَ مِنْهُمْ عَذَابًا اَلِيْمًا** اَسہِ چھُو تمواَندرہ کافرن ہندِہ خیطرہ تیار تھاومُت عذاباہ سیٹھاہ کُڈر۔ **لٰكِنِ الرّٰسِخُوْنَ فِي الْعِلْمِ مِنْهُمْ وَالْمُؤْمِنُوْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ وَمَآ اُنْزِلَ مِنْ قَبْلِكَ** لیکن یم یہودواَندرہ علم دینس اَندر پُختہ چھہِ بیہ یم تمواَندرہ باایمان چھہِ تم چھہِ پڑھ کران تتھ کِتابہِ یُوسہ تمن نازِل آیہ کرنہ بیہ تمن کِتابن یمہِ تمہِ برونٹھ نازِل آیہ کرنہ۔ **وَالْمُقِيْمِيْنَ الصَّلٰوةَ وَالْمُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَالْمُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ** بیہ یم تمواَندرہ نماز پرہ وِنِ چھہِ، بیہ یم زکوٰۃ دِوہ وِنِ چھہِ۔ بیہ یم پڑھ کرہ وِنِ چھہِ کُنس خدایس بیہ پُتِمِس دُوہس یعنی قیامتہ کس دوہس **اُولٰۗىِٕكَ سَنُؤْتِيْهِمْ اَجْرًا عَظِيْمًا** یمنی لُوکن گرواَسِ عطا آخرتس منز

إِنَّآ أَوْحَيْنَآ إِلَيْكَ كَمَآ أَوْحَيْنَآ إِلَىٰ نُوحٍ وَٱلنَّبِيِّـۧنَ مِنۢ بَعْدِهِۦ ۚ وَأَوْحَيْنَآ إِلَىٰٓ إِبْرَٰهِيمَ وَإِسْمَٰعِيلَ وَإِسْحَٰقَ وَيَعْقُوبَ وَٱلْأَسْبَاطِ وَعِيسَىٰ وَأَيُّوبَ وَيُونُسَ وَهَٰرُونَ وَسُلَيْمَٰنَ ۚ وَءَاتَيْنَا دَاوُۥدَ زَبُورًا ﴿١٦٣﴾ وَرُسُلًا قَدْ قَصَصْنَٰهُمْ عَلَيْكَ مِن قَبْلُ وَرُسُلًا لَّمْ نَقْصُصْهُمْ عَلَيْكَ ۚ وَكَلَّمَ ٱللَّهُ مُوسَىٰ تَكْلِيمًا ﴿١٦٤﴾ رُّسُلًا مُّبَشِّرِينَ وَمُنذِرِينَ لِئَلَّا يَكُونَ لِلنَّاسِ عَلَى ٱللَّهِ حُجَّةٌۢ بَعْدَ ٱلرُّسُلِ ۚ وَكَانَ ٱللَّهُ عَزِيزًا حَكِيمًا ﴿١٦٥﴾

---

مڑُوریاہ سیٹھاہ بڑ۔ إِنَّآ أَوْحَيْنَآ إِلَيْكَ كَمَآ أَوْحَيْنَآ إِلَىٰ نُوحٍ وَٱلنَّبِيِّـۧنَ مِنۢ بَعْدِهِۦ پڑپاٹھ اسِہ سُوز وَحی توہہ گُن یار سُول اللہ تھے پاٹھِ یتھہ پاٹھ اَسِہ وَحی سُوز حضرتِ نُوحس تہٕ بین پیغمبرن پیٹھہ تِمن پتہٕ۔ وَأَوْحَيْنَآ إِلَىٰٓ إِبْرَٰهِيمَ وَإِسْمَٰعِيلَ وَإِسْحَٰقَ وَيَعْقُوبَ وَٱلْأَسْبَاطِ وَعِيسَىٰ وَأَيُّوبَ وَيُونُسَ وَهَٰرُونَ وَسُلَيْمَٰنَ وَءَاتَيْنَا دَاوُۥدَ زَبُورًا تِموٚ اَندرہ بعضی حضرات تِمن گُن اَسِہ وحی سوز مثلاً حضرتِ ابراہیمس گُن حضرت اسماعیلس گُن حضرتِ اسحاقس گُن، حضرت یعقوبس گُن بیہ تِہندیَن اولادن گُن بیہ حضرتِ عیسی اَس گُن بیہ حضرتِ ایوبس گُن بیہ حضرت یونسس گُن، بیہ حضرت ہارونس، بیہ حضرتِ سلیمانس۔ بیہ سُوز اسِہ حضرتِ داوُودس گُن وحی۔ اَسِہ کُر عطا تِمن نِنِ کِتاباہ زبور وَرُسُلًا قَدْ قَصَصْنَٰهُمْ عَلَيْكَ مِن قَبْلُ وَرُسُلًا لَّمْ نَقْصُصْهُمْ عَلَيْكَ وَكَلَّمَ ٱللَّهُ مُوسَىٰ تَكْلِيمًا بیہ سُوز اسِہ وَحی تِمن پیغمبرن گُن یُہند حال برونٹھ اَسِہ بیان کور۔ یہنز ذکر سورہ انعامس منز کرنہ آمژ چھہ۔ بیہ تِمن پیغمبرن گُن یُہند حال نہ ڈُنہ اَسِہ توہہِ بیان کور بیہ کور اللہ تعالی اَن حضرتِ موسی تہٕ صاحب وحی۔ چنانچہِ تِمن سیت کور اللہ تعالی اَن کلام خاص طور کلاماہ رُّسُلًا مُّبَشِّرِينَ تِم ساری پیغمبر سُوزِ اَسِہ ایمانس پیٹھ نجاتچ بشارت دِوہ ونِ وَمُنذِرِينَ کفرس پیٹھہ عذابگ بیم کرہ ون لِئَلَّا يَكُونَ لِلنَّاسِ عَلَى ٱللَّهِ حُجَّةٌۢ بَعْدَ ٱلرُّسُلِ

لٰكِنِ اللّٰهُ يَشْهَدُ بِمَآ اَنْزَلَ اِلَيْكَ اَنْزَلَهٗ بِعِلْمِهٖ ۚ وَالْمَلٰٓئِكَةُ يَشْهَدُوْنَ ؕ وَكَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًا ﴿۱۶۶﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَصَدُّوْا عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ قَدْ ضَلُّوْا ضَلٰلًاۢ بَعِيْدًا ﴿۱۶۷﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَظَلَمُوْا لَمْ يَكُنِ اللّٰهُ لِيَغْفِرَ لَهُمْ وَلَا لِيَهْدِيَهُمْ طَرِيْقًا ۙ﴿۱۶۸﴾ اِلَّا طَرِيْقَ جَهَنَّمَ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا ؕ وَكَانَ ذٰلِكَ

---

پیغمبر بناوِتھ سوزِاسہٕ تمہ یمی موکھ کہ یُتھنہ لوکن عُذر راہ خدا یس نِشہٕ پیش کرنہٕ خیطرہ باقی روزِہ تمہ حضراتِ انبیاء سوزنہٕ پتہٕ۔ ورنہٕ تمہ ہیکہ ہَن وَنِتھ قیامتک دوہ وار یہٕن کھن ہُند رُت آسُن سپُدنہٕ اَسہٕ معلُوم عقلہٕ سیت لہٰذا کیاہ گُناہ چھُو سون یہ ونہٕ نَچ تھاونہٕ خدا اَمن کانسہٕ گنجایش **وَكَانَ اللّٰهُ عَزِيْزًا حَكِيْمًا** اللہ تعالیٰ چھُو پنہٕ نین کامین اَندر سارنی پیٹھہ غالِب تمہ اِعتبارہ ہیکہِ ہاسُو تمن عذابس گرفتار کرِتھہ۔ مگر سارنی کامین منز چھُو حکمتہٕ ڈول تمسنز حکمت سپنز مقتضی پیغمبر سوزنس **لٰكِنِ اللّٰهُ يَشْهَدُ بِمَآ اَنْزَلَ اِلَيْكَ اَنْزَلَهٗ بِعِلْمِهٖ** ۔ لیکن اللہ تعالیٰ چھُو گواہی دِوان تمہٕ کِتابہٕ ہندہٕ ذریعہٕ یُوسہ توہہٕ کُن نازِل کرن۔ نازِل تہٕ کرن سُو پننہٕ کمالِ علمیہ سیت۔ تمہٕ کتابہٕ جن تہٕ اِنسان اولین و آخرین عاجز کرِتتھہ ہیُواکھ آیہٕ کریماہ پیش کرنہٕ نِشہٕ تمی سببہٕ چھہ سُو کِتاب بُڈ دلیلِ تہندس نبوتس پیٹھہ **وَالْمَلٰٓئِكَةُ يَشْهَدُوْنَ** ۔ بیہ چھہٕ ملایکہٕ تہٕ گواہی دِوان تہندس نبوتس پیٹھ **وَكَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًا** حقیقت چھہٕ کہ اللہ تعالیٰ چھُو گواہ آسنس اَندر بس۔ **اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَصَدُّوْا عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ قَدْ ضَلُّوْا ضَلٰلًاۢ بَعِيْدًا** بیشک تمو لوکو ننہٕ دلیلہٕ وچھتھہ تہٕ اِنکار کور بیہٕ رٹکھ لوکھ تہٕ پتھ خدایہٕ سنزِہ وَتہٕ نشہٕ یعنی دینِ اِسلامہ نشہٕ تمہ ڈلِ سینزِہ وَتہٕ نشہٕ۔ پزِہ نشہٕ سیٹھاہ دُور گمراہی اَندر **اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَظَلَمُوْا لَمْ يَكُنِ اللّٰهُ لِيَغْفِرَ لَهُمْ وَلَا لِيَهْدِيَهُمْ طَرِيْقًا** پزِ پاٹھ تمو لوکو اِنکار کور بیہٕ کورُکھ ظُلم لوکن نقصانِ عظیم واتناونہٕ سیت، دِینِ حقہٕ نِشہٕ پتھہ رٹنہٕ سیت اللہ تعالیٰ کرِہ نہٕ تمن زانہہ تہٕ بخشایش۔ بیہ ہاوِہ نہٕ تمن وَتھ جنتس کُن **اِلَّا طَرِيْقَ جَهَنَّمَ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا** مگر ہاوِکھ جہنمچ وَتھ تتھہ منز چھُو روزُن تمن ہمیشہ ابد آلاباد **وَكَانَ ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرًا** اللہ

عَلَى اللّٰهِ يَسِيْرًا ﴿۱۶۹﴾ يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَآءَكُمُ الرَّسُوْلُ بِالْحَقِّ مِنْ رَّبِّكُمْ فَاٰمِنُوْا خَيْرًا لَّكُمْ ؕ وَاِنْ تَكْفُرُوْا فَاِنَّ لِلّٰهِ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيْمًا حَكِيْمًا ﴿۱۷۰﴾ يٰۤاَهْلَ الْكِتٰبِ لَا تَغْلُوْا فِىْ دِيْنِكُمْ وَلَا تَقُوْلُوْا عَلَى اللّٰهِ اِلَّا الْحَقَّ ؕ اِنَّمَا الْمَسِيْحُ عِيْسَى ابْنُ مَرْيَمَ رَسُوْلُ اللّٰهِ وَكَلِمَتُهٗ ۚ اَلْقٰىهَاۤ اِلٰى مَرْيَمَ وَرُوْحٌ مِّنْهُ ؗ فَاٰمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرُسُلِهٖ ۚ قف وَلَا

---

تعالی اس نشہ چھویہ سزا دین تمن سیٹھاہ سہل تہ آسان **يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَآءَكُمُ الرَّسُوْلُ بِالْحَقِّ مِنْ رَّبِّكُمْ فَاٰمِنُوْا خَيْرًا لَّكُمْ** ای ساری جہانہ کیولوکو پزپاٹ آؤ توہہ کن یہ پیغمبر برحق حضرت محمّد عربی صلی اللہ علیہ وسلّم پزگتھ، پوزدعویٰ تہ پزدلیل ہیتھ تہندس پروردگارہ سندہ طرفہ لہذا چھو پوز دعویٰ دلیل آسنس لازم کہ تہہ کرو پزھ تمن بیہ کرو یقین تتھ یہ تم فرماون۔ یہ چھو تہندہ خیطرہ سیٹھاہ بہتر **وَاِنْ تَكْفُرُوْا فَاِنَّ لِلّٰهِ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ** ہرگاہ تہہ انکار کرو تمیک نقصان چھو توہہ پانس۔ خدایس چھونہ تمیک کانہہ پروا۔ کیازہ بیشک تہندوی چھو ملک تہ سوری یہ آسمانن اندر تہ زمینس اندر چھو۔ لہذا یتھس بڈس مالکس کیاہ نقصان ہیکو تہہ واتناوتھ پننہ انکارہ سیت **وَكَانَ اللّٰهُ عَلِيْمًا حَكِيْمًا** اللہ تعالی چھو پور زانن وول سارنی ہندہ ایمانک تہ کفرک۔ حکمتہ وول تہنز حکمت چھنہ مقتضی یتھ کتھہ کہ منکر کیا گژھن فوراً گرفتار عذاب کرن **يٰۤاَهْلَ الْكِتٰبِ لَا تَغْلُوْا فِىْ دِيْنِكُمْ** ای اہل کتابو یعنی نصاراو مہ کرو پنہ نس دینس اندر زیادتی۔ حدہ نشہ مہ نیرو نیر پیغمبرن ہندس تعریف کرنس اندر۔ مہ ٹھراویوکھ تم خدایہ سندی نچو۔ خدا چھو اولاد آسنہ نش منزّہ تہ پاک۔ **وَلَا تَقُوْلُوْا عَلَى اللّٰهِ اِلَّا الْحَقَّ** بیہ مہ ونیو خدایس نسبت کینہہ تہ مگر تی یہ پوز چھو **اِنَّمَا الْمَسِيْحُ عِيْسَى ابْنُ مَرْيَمَ رَسُوْلُ اللّٰهِ وَكَلِمَتُهٗ** چھونہ حضرت مسیح عیسیٰ حضرت مریمہ سندی نچو۔ مگر چھو پیغمبر خدایہ سند بیہ تہند حکم **اَلْقٰىهَاۤ اِلٰى مَرْيَمَ** یُس تم واتنوو حضرت مریمس کن **وَرُوْحٌ مِّنْهُ** بیہ چھو اللہ تعالی سند اکھ روحہ وول یعنی

تَقُولُوا ثَلٰثَةٌ ۭ اِنْتَهُوْا خَيْرًا لَّكُمْ ۭ اِنَّمَا اللّٰهُ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ ۭ
سُبْحٰنَهٗٓ اَنْ يَّكُوْنَ لَهٗ وَلَدٌ ۘ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي
الْاَرْضِ ۭ وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَكِيْلًا ﴿١٧١﴾ لَنْ يَّسْتَنْكِفَ الْمَسِيْحُ اَنْ
يَّكُوْنَ عَبْدًا لِّلّٰهِ وَلَا الْمَلٰۗىِٕكَةُ الْمُقَرَّبُوْنَ ۭ وَمَنْ يَّسْتَنْكِفْ
عَنْ عِبَادَتِهٖ وَيَسْتَكْبِرْ فَسَيَحْشُرُهُمْ اِلَيْهِ جَمِيْعًا ﴿١٧٢﴾ فَاَمَّا

---

جانداراہ۔ سُو جان تہٕ زُووا تنووا اللہ تعالیٰ اَن جبرِیل اَمینہ سندِہ پھُوکہ کہِ واسِطہ حضرتِ مریمس منز۔ سُو نہ چھُو خدایہِ سُند پُنُو نہ چھُو خدا۔ نہ چھُو تریو خدایو اندرہ اکھ۔ یِم ساری عقائد چھہِ باطل تہٕ اَپزِ یلہِ یِمہِ سارے کتھ باطِل تہٕ اپزہ چھہ لہٰذا کرِو تِہِ ساری اَمہِ نِشہِ توبہ۔ فَاٰمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرُسُلِهٖ ۔پس پزِہ کرِو کُنس خدایس بیہِ تہندن پیغمبرن۔ تمنی ہنزِہ تعلیمہِ مُوجُب زانِیُون خداکنوی، توحید کرِو اختیار۔ تثلیث گالِو تہٕ توحید پالو وَلَا تَقُوْلُوْا ثَلٰثَةٌ ۔یِہِ کتھ مہ ونِیُو کھ خدا چھہِ ترِیہ اِنْتَهُوْا خَيْرًا لَّكُمْ ۔یِہِ گو شِرک۔ یِزِہ کتھ ونِنہ نِشہِ یعنی شِرکہ نِشہِ رُوزِو پَتھہ تی چھُو تہُندہ خیطرہ بہتر اِنَّمَا اللّٰهُ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ کیازہ معبُود برحق چھُو نہ مگر کنُوی سُبْحٰنَهٗٓ اَنْ يَّكُوْنَ لَهٗ وَلَدٌ منزہ تہٕ پاک چھُو سُو اولاد آسنہ نِشہِ۔ تمِس کیاہ ضرورت چھہ اولادن ہنز۔ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ تہندی چھُو تہِ سورُوی یِہ آسمانن اَندر چھُو بیہِ زمینن اندر چھُو۔ وَكَفٰى بِاللّٰهِ وَكِيْلًا سُو چھُو سارِنی بندن ہنزِہ کامہِ خیطرہ کنُوی کافی۔ سُوی چھُو کارساز مُطلق۔ یہے چھہ تمسندہ معبودِ برحق آسنُچ بڑ دلیل۔ تس وَرای یِم چھہِ تہٕ تم ساری چھہِ کارسازی اَندر تس کُن محتاج۔ لہٰذا چھُو نہ معبُود آسنس سزاوار تس وَرای کانہہ تہِ۔ نصاری چھہِ بلِ حضرتِ عیسیٰ اَس تہٕ ملائکہ مُقربین معبُود تہٕ خدا زانان۔ حالانکہ تموِ کرنہ پانہ زانہہ اِنکار خدایہ سندِ بندہ آسنہ نِشہِ۔ نہ کرن تِم زانہہ تمہِ نِشہِ عار تہٕ مَندَ چھ۔ بیہِ کرن نہ زانہہ مند چھ تہٕ عار ملائکہ مُقربین مثلِ جبرِیل اَمین وغیرہ۔ کیازِہ تمن چھہ خبری کہ خدایہِ سنزِہ بندگی نِشہِ عار تہٕ مند چھ کرنک نتیجہ کیاہ چھو لَنْ يَّسْتَنْكِفَ الْمَسِيْحُ اَنْ يَّكُوْنَ عَبْدًا لِّلّٰهِ وَلَا الْمَلٰۗىِٕكَةُ الْمُقَرَّبُوْنَ عار چھُو نہ زانان

الَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ فَيُوَفِّيهِمْ أُجُورَهُمْ وَ
يَزِيدُهُم مِّن فَضْلِهِ ۖ وَأَمَّا الَّذِينَ اسْتَنكَفُوا وَاسْتَكْبَرُوا
فَيُعَذِّبُهُمْ عَذَابًا أَلِيمًا ۙ وَلَا يَجِدُونَ لَهُم مِّن دُونِ اللَّهِ
وَلِيًّا وَلَا نَصِيرًا ﴿١٧٣﴾ يَا أَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَاءَكُم بُرْهَانٌ
مِّن رَّبِّكُمْ وَأَنزَلْنَا إِلَيْكُمْ نُورًا مُّبِينًا ﴿١٧٤﴾ فَأَمَّا الَّذِينَ
آمَنُوا بِاللَّهِ وَاعْتَصَمُوا بِهِ فَسَيُدْخِلُهُمْ فِي رَحْمَةٍ

---

پانہ مسیح یعنی حضرتِ عیسیٰ خدایہ سُند بندہ آسنس بیہ نہ مُقرب ملائک وَمَن يَسْتَنكِفْ عَنْ عِبَادَتِهِ وَيَسْتَكْبِرْ تم چھہ زانان کہ یُس کھاہ خدایہ سنز عبادت کرنہ نشہِ عار تہ تکبرُ کرِہ فَسَيَحْشُرُهُمْ إِلَيْهِ جَمِيعًا پس اللہ تعالی کرِہ سارنی لُوکن پانس برونٹھ کنہِ قیامتک دوہ جمع فَأَمَّا الَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ فَيُوَفِّيهِمْ أُجُورَهُمْ وَيَزِيدُهُم مِّن فَضْلِهِ تو پتہ یمو لُوکو ایمان اَنتھ رژھ عملہ آسن کرِہ مژہ تمن دِیہ پورُ مزدور۔ بیہ کریکھ زیادہ پنُن فضل عطا۔ وَأَمَّا الَّذِينَ اسْتَنكَفُوا وَاسْتَكْبَرُوا فَيُعَذِّبُهُمْ عَذَابًا أَلِيمًا وَلَا يَجِدُونَ لَهُم مِّن دُونِ اللَّهِ وَلِيًّا وَلَا نَصِيرًا بیہ یمو لُوکو خدایہ سنز عبادت کرنہ نشہِ عار تہ تکبرُ کورمُت آسہِ پس کرِہ تمن عذاب۔ سُوی آسہ کٹُر عذاب۔ تو پتہ لَبن نہ تم پننہِ رہائی خیطرہ خدایس ورای نہ کانہہ دوستاہ نہ کانہہ مددگاراہ۔ يَا أَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَاءَكُم بُرْهَانٌ مِّن رَّبِّكُمْ وَأَنزَلْنَا إِلَيْكُمْ نُورًا مُّبِينًا ای ساروی لُوکو بیشک آیہ توہہِ کُن تہندس پروردگارہ سندہ طرفہ بڈ دلیل، بڈ حجت یعنی ذاتِ مبارکِ حضرتِ رسُولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلم۔ بیہ کوراَسہ نازل توہہِ کُن نوراہ رُوشن تہ صاف یعنی قرآن مجید فَأَمَّا الَّذِينَ آمَنُوا بِاللَّهِ وَاعْتَصَمُوا بِهِ پس یمو لوکو پژھ کُر کُنس خدایس بیہ رُود تھپ کُرِتھ تہندس دِینس یمہِ خیطرہ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم بیہ قرآن مجیدس پژھ کرنِ لازِم چھ فَسَيُدْخِلُهُمْ فِي رَحْمَةٍ مِّنْهُ وَفَضْلٍ پس واتناوِہ تمن سُو پننہ نِس رحمس اندر سُوگو جنت بیہ فضلس اندر سُوگو جنتچہ بجہِ بجہ نعمژ، دیدار خدا رضاے الٰہی وَيَهْدِيهِمْ إِلَيْهِ

مِّنْهُ وَفَضْلٍ ۙ وَّيَهْدِيْهِمْ اِلَيْهِ صِرَاطًا مُّسْتَقِيْمًا ﴿۱۷۵﴾ يَسْتَفْتُوْنَكَ ؕ قُلِ اللّٰهُ يُفْتِيْكُمْ فِى الْكَلٰلَةِ ؕ اِنِ امْرُؤٌا هَلَكَ لَيْسَ لَهٗ وَلَدٌ وَّلَهٗۤ اُخْتٌ فَلَهَا نِصْفُ مَا تَرَكَ ۚ وَهُوَ يَرِثُهَاۤ اِنْ لَّمْ يَكُنْ لَّهَا وَلَدٌ ؕ فَاِنْ كَانَتَا اثْنَتَيْنِ فَلَهُمَا الثُّلُثٰنِ مِمَّا تَرَكَ ؕ وَاِنْ كَانُوْۤا اِخْوَةً رِّجَالًا وَّنِسَآءً فَلِلذَّكَرِ مِثْلُ حَظِّ الْاُنْثَيَيْنِ ؕ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اَنْ تَضِلُّوْا ؕ وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَىْءٍ عَلِيْمٌ ﴿۱۷۶﴾ ع

---

صِرَاطًا مُّسْتَقِيْمًا بیہ ہاوہ تمن وَ تھ پنہ نِس قُرب سَ کُن۔ وتھاہ سیز۔ يَسْتَفْتُوْنَكَ قُلِ اللّٰهُ يُفْتِيْكُمْ فِى الْكَلٰلَةِ لُوکھ چھِ توہہِ نِشہِ فتویٰ طلب کران کلالس مُتعلّق کلالہ گویس نہ وارثو اَندرہ نہ مُول آسہِ نہ اولاد آسَن تیٚہہ فرماویُو کھ کہِ اللہ تعالیٰ چھُو توہہِ یہِ حُکم فرماوان کلالس متعلق۔ اِنِ امْرُؤٌا هَلَكَ لَيْسَ لَهٗ وَلَدٌ وَّلَهٗۤ اُخْتٌ فَلَهَا نِصْفُ مَا تَرَكَ یلہِ کانہہ شخصاہ مرِ تَس روزِہ نہ پتھہ کُن اولاد نہ آسیس مُول مُوج۔ فقط آسیس بینہِ، سَکھ بینہِ پَس پچھو تَس (بینہ) تمسندہ مالہ منزہ واتان نِصف حِصہ، باقی نصف حِصہ گو عصبو اندرَے کانہہ آسیس تہ تَس۔ ہرگاہ نےٚ آسیس۔ تلہِ بیہ سُو نصف حِصہ تہ اَمِسی بینہِ دِنہ۔ وَهُوَ يَرِثُهَاۤ اِنْ لَّمْ يَكُنْ لَّهَا وَلَدٌ سُو کلالہ چھُو وارِث سپدان امِس بینہِ ہُند ہرگاہ سُو مرِ تَس روزِہ نہ پتھ کُن پَنُن اولاد کینہہ تہِ فَاِنْ كَانَتَا اثْنَتَيْنِ فَلَهُمَا الثُّلُثٰنِ مِمَّا تَرَكَ پَس ہرگاہ کانسہِ روزن پتھ کُن زہ یا دویو خوتہ زہ یاد بینہِ تمن چھُو اَمسندہ متروکہ مالہ منزہ واتان تریو حصو منزہ زہ حِصہ۔ وَاِنْ كَانُوْۤا اِخْوَةً رِّجَالًا وَّنِسَآءً فَلِلذَّكَرِ مِثْلُ حَظِّ الْاُنْثَيَيْنِ بیہ ہرگاہ کانسہِ روزن پتھ کُن باے تہ بینہِ، مرد تہ زنانہ، پَس چھُو تمن واتان مردَس زہ حِصہ زنانہِ اکھ حِصہ اَمسندہ مالہ منزہ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اَنْ تَضِلُّوْا وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَىْءٍ عَلِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو دِینک اَحکام توہہِ فرماوان تہ بیان کران یُتھ نہ تیٚہہ ناواقفی سببہ گُمراہ سپدو۔ اللہ تعالیٰ چھُو پرٚیتھ چیز اہ پور زانہ ڈن۔



بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ ○

یٰۤاَیُّہَا الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡۤا اَوۡفُوۡا بِالۡعُقُوۡدِ ؕ اُحِلَّتۡ لَکُمۡ بَہِیۡمَۃُ الۡاَنۡعَامِ اِلَّا مَا یُتۡلٰی عَلَیۡکُمۡ غَیۡرَ مُحِلِّی الصَّیۡدِ وَ اَنۡتُمۡ حُرُمٌ ؕ اِنَّ اللّٰہَ یَحۡکُمُ مَا یُرِیۡدُ ① یٰۤاَیُّہَا الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡا لَا تُحِلُّوۡا شَعَآئِرَ اللّٰہِ وَ لَا

---

یٰۤاَیُّہَا الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡۤا اَوۡفُوۡا بِالۡعُقُوۡدِ ای باایمانو تُہنٛد ایمان اُنٛ چھُو منگان یِتھ کتھِ کہِ تُہہِ کرِو پُورہ پٔنٛن معاہدہ یِم توہہِ ایمان انہٕ نس منز خدایس سیت کرمتِ چھِو۔ یعنی شریعتکۍ احکام اَنُو بجا۔ کیازِ ایمان اَنہٕ سیت سپد توہِ پیٹھ تمِ ساری اَحکام لازم۔ لہذا یُس چیز لازم تہٕ مٔتہِ کھوٚت سوٚ گژھہِ پُورہ کرن تہٕ پُورہ ہو رُن اُحِلَّتۡ لَکُمۡ بَہِیۡمَۃُ الۡاَنۡعَامِ حلال آی کرنہٕ تہُندِ خیطرہ چارپاگیٚن تہٕ تیر چاروایو اَندرہ اِلَّا مَا یُتۡلٰی عَلَیۡکُمۡ تمن چاروایِن ورائی یُہند حُکم توہہِ پیٹھ بُرونٛٹھہ پَرنہٕ یِیہ غَیۡرَ مُحِلِّی الصَّیۡدِ وَ اَنۡتُمۡ حُرُمٌ ۔ مگر شکار کرن گژھِ نہٕ حلال زانُن یلہٕ تہہ حجک یا عمرُک احرام گنڈِت آسِویا تتھ زمین پاکس اَندر آسِو یتھ حرم وننہٕ یِوان چھُو اِنَّ اللّٰہَ یَحۡکُمُ مَا یُرِیۡدُ پزِ پاٹھ اللہ تعالی چھُو سُوی حُکم فرماوان یُس حُکم۔ یژھان چھُو۔ کانسہٕ ہُند طاقت چھُو نہٕ چُون وچرا کرنک۔ ہُہ کیازِ تہٕ یِہ کونہ۔ سُویس جانورس یژھان چھُو تس چھُو ہمیشہ خیطرہ حرام کران۔ یس یژھان چھُو تس چھُو ہمیشہ خیطرہ حلال کران۔ یس یژھان چھُو تس چھُوکُنہِ مخصوص حالتس اَندر حلال کران۔ یس یژھان چھُو تس چھُوکُنہِ خاص حالتس اندر حرام کران۔ ای لُوکو توہہِ چھُو پرِ یتھ حالتس منز حُکمس تعمیل کرن لازم یٰۤاَیُّہَا الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡا لَا تُحِلُّوۡا شَعَآئِرَ اللّٰہِ اے باایمانو حلال مہٕ زانو یعنی بے حُرمتی مہٕ کرِو خدایہ سنٛدین دِینہ کین تہٕ عبادتہٕ کین نشانن۔ یعنی یِمن چیزن ہندہ اَدب تہٕ تعظیم کرنک حُکم کرنہٕ آو تِمن حُکمن خلاف کرِتھ تِمن چیزن ہنز بےاَدبی کرنِ چھہ حرام۔ مثلا حرم شریفک تہٕ احرامک اَدب چھُو احرام گنڈِت تہٕ حرم شریفس منز آسِتھ گژھِہ نہٕ شکار

الشَّهْرَ الْحَرَامَ وَلَا الْهَدْيَ وَلَا الْقَلَآئِدَ وَلَآ آٰمِّيْنَ الْبَيْتَ الْحَرَامَ يَبْتَغُوْنَ فَضْلًا مِّنْ رَّبِّهِمْ وَرِضْوَانًا ؕ وَإِذَا حَلَلْتُمْ فَاصْطَادُوْا ؕ وَلَا يَجْرِمَنَّكُمْ شَنَاٰنُ قَوْمٍ أَنْ صَدُّوْكُمْ عَنِ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ أَنْ تَعْتَدُوْا ۘ وَتَعَاوَنُوْا عَلَى الْبِرِّ وَالتَّقْوٰى ۪ وَلَا تَعَاوَنُوْا عَلَى الْإِثْمِ

---

کرن یہ چھُو حرام۔ وَلَا الشَّهْرَ الْحَرَامَ وَلَا الْهَدْيَ وَلَا الْقَلَآئِدَ وَلَآ آٰمِّيْنَ الْبَيْتَ الْحَرَامَ بیہ مہ کرِو بے حُرمتی تعظیمہ والین رتَین۔ تمِ گے ذیقعدہ، ذی الحج، مُحرم تہ ماہ رجب۔ یمن رتَین اَندرمہ کرِو کافرَن سیت جنگ بیہِ مہ کرِوبے حُرمتی تمِن جانورن یمنِ ہنز رہ نال یوانِ چھُوتراونہ۔ تمِ کیاین خدایہِ سنِدہ خیطرہ حرمس منز قربان کرنہ۔ کیازِہ تمِ چھہِ خدایہِ سُند نیاز۔ یہِ نیاز تھاوِیون مخصُوص تہنِدی خیطرہ۔ تس وراے بیہِ کانسہِ ہندِہ خیطرہ اَدہ سُو ملک مُقرب آستن یا نبی مُرسل یا ولیٔ اکمل۔ تس وراے بیہِ کانسہِ ہندِہ خیطرہ کانہہ جانوراہ نیاز تھاوُن یہ گو شرک محض حرام۔ بیہِ مہ کرِوبے حُرمتی تمِن لُوکن یمِ عزتہ والہ گرہکہِ زیارتہ خیطرہ یوانِ آسَن یعنی کعبہٖ شریفکہِ زیارتہ خیطرہ يَبْتَغُوْنَ فَضْلًا مِّنْ رَّبِّهِمْ وَرِضْوَانًا یمِ ژھانڈان آسن پنہٕ نِسِ پروردگارہ سُند فضل تہ رضامندی۔ وَإِذَا حَلَلْتُمْ فَاصْطَادُوْا تو پتہ یلہِ حج یا عمرہ کرت مُوکہ لِو، اِحرام مژراوِو پَس کرِو شکار۔ ہر گاہ توہہِ تِچ خواہش آسہ بشرطیکہ سُو شکار آسہِ نہ حرَم شریفس منز وَلَا يَجْرِمَنَّكُمْ شَنَاٰنُ قَوْمٍ أَنْ صَدُّوْكُمْ عَنِ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ أَنْ تَعْتَدُوْا باعِث مہ بنِن توہہِ ہرگزِ تمِن لُوکن ہنز دُشمنی یمَو تہُہ پتھ رچیوہ کعبہٖ شریفکہ زیارتہ نشہ حدیبیس کُن۔ تہُہ کیاہ ڈلو حدہ تو پتہ کرو احکامَن ہنز خِلاف ورزی۔ تمن ہیسو انتقام قتل وغارت کرنہ سیت۔ تمِن نشہِ رُوزِو پتھہ وَتَعَاوَنُوْا عَلَى الْبِرِّ وَالتَّقْوٰى اکھ اَکس کرِو مدد رژن کامین اَندر بیہِ پرہیز گاری اَندر شرعی اَحکامن پیٹھہ پابندی کرنس اَندر۔ تمیک آسِو اکھ اکس ترغیب دِوان۔ وَلَا تَعَاوَنُوْا عَلَى الْإِثْمِ وَالْعُدْوَانِ مدد مہ آسو کران اکھ اَکس گنہن، یچھ کامین تہ ظلمس اندر۔ مثلاتمِ حُکم یم چھہِ تمِن خلاف کرنس اَندر مہ آسِو کانسہِ مَدد کران وَاتَّقُوا اللّٰهَ کھوژِو خدایس تس کھوژنہ سیت چھہ سارنی حکمن

وَالْعُدْوَانِ ۠ وَاتَّقُوا اللّٰهَ ۭ اِنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ②

حُرِّمَتْ عَلَيْكُمُ الْمَيْتَةُ وَالدَّمُ وَلَحْمُ الْخِنْزِيْرِ وَمَآ اُهِلَّ لِغَيْرِ

اللّٰهِ بِهٖ وَالْمُنْخَنِقَةُ وَالْمَوْقُوْذَةُ وَالْمُتَرَدِّيَةُ وَالنَّطِيْحَةُ وَمَآ

اَكَلَ السَّبُعُ اِلَّا مَا ذَكَّيْتُمْ ۣ وَمَا ذُبِحَ عَلَي النُّصُبِ وَاَنْ تَسْتَقْسِمُوْا

---

پیٹھہ پابندی گرنِ سہل تہ آسان سپدان اِنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ اللہ تعالی چھُو پزِ پاٹھ اَحکامَن ہنز مخالفت کرہ وین سخت عذاب کرہ وُن حُرِّمَتْ عَلَيْكُمُ الْمَيْتَةُ وَالدَّمُ وَلَحْمُ الْخِنْزِيْرِ حرام آی کرنہ توہہِ پیٹھہ اَی مُسلمانو یِم چیز، مُردار جانور یُس شرعی گھش کرنہ ورای پانَے آسہِ مُومُت، بیہِ رَتھ یعنی خُون۔ بیہِ سوُرُہ مازبیہِ تمسندِ ساری اجزاء۔ تِمَن ترین چیزن اَندر چھہِ مادی خباثت تہ گندگی لبنہَ یِوان۔ اَمہِ پتہ فرمُو خدااین تِمن حرام چیزن ہنز ذِکر یِم بذاتِ خود حلال تہ پاکھی آسَن مگر مالکِ حقیقیس وَرایِ بیہِ کانسہِ ہُند قُرب تہ رضامندی تمہِ سیت ژھانڈنہ خیطرہ آوسُو تیسِ کُن لاگنہ تہ نامزد کرنہ۔ یُس نہ خالق و مالکِ چھُو مُوت وحیاتُک۔ تمہِ مُوکھہ سپنز اَتھ اَندر بدنیتی ہنز تہ بَداعتقادی ہنز اکھ ناپاکیاہ تہ خباثتاہ پیدہ لہذا آوٗیہِ تہِ حرام کرنہ سُوگو وَمَآ اُهِلَّ لِغَيْرِ اللّٰهِ بِهٖ بیہِ چھُو حرام سُو جانور یُس خدایس ورای بیہِ کانسہِ ہندِہ ناوہ تھاونہ یِیہِ وَالْمُنْخَنِقَةُ بیہِ یُس ہوٹ یِیہِ چیرنہ وَالْمَوْقُوْذَةُ بیہِ یُس ژنجہ سیت مارنہ آسہِ آمُت وَالْمُتَرَدِّيَةُ بیہِ یُس تھزرہ پیٹھہ کوہ پیٹھ یا کیرِس منزوَسِ پیتھ مُومُت آسہ وَالنَّطِيْحَةُ بیہِ یُس جانور بیسِ جانورہ سنزِ ڈھولہ سیت مُومُت آسہِ۔ وَمَآ اَكَلَ السَّبُعُ ۔بیہِ یُس جانور کانسہِ درندن ژاپلِن کھیومُت آسہِ اِلَّا مَا ذَكَّيْتُمْ مگرَے یِمو سارِوی جانورَو اَندرہ کانسہِ جانورَس اَمہِ صدمہ سیت مَرنہ برونٹھ زندَے آستھ شرعی ذبح کرنہ یِیہِ سُو چھُو حلال۔ وَمَا ذُبِحَ عَلَي النُّصُبِ ۔بیہِ چھہِ حرام تِم جانور یِم ذبح یِنِ کرنہ تِمن جائین، یِمَنِ جائین خدایس ورای بیہِ کانسہِ ہنز پرستش کرنہ ایوان آسہ یا خدایہ سندہِ گرہ یعنی خانہ کعبہ ورای۔ بیہِ کُنہِ جایہِ ہندِہ تعظیمہ خیطرہ ذبح کرنہ یِیَن۔ اگرچہِ ذبح کرنکہ وقتہ اِیتن تس پیٹھہ بسمِ اللہِ اللہ اکبرے پرنہ۔ سُوگو حرام وَاَنْ تَسْتَقْسِمُوْا بِالْاَزْلَامِ یہ چھُو حرام تِہہ کیاہ کرِو مُشترک جانورہ سُند ماز تقسیم زارہ کیو تیرو سیت ذٰلِكُمْ فِسْقٌ یہ سورُوی چھُو گناہ ناجائز تہ حرام یِمو

بَعْضُهُمْ اَوْلِيَآءُ بَعْضٍ ؕ وَمَنْ يَّتَوَلَّهُمْ مِّنْكُمْ فَاِنَّهٗ مِنْهُمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِى الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٥١﴾ فَتَرَى الَّذِيْنَ فِىْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ يُّسَارِعُوْنَ فِيْهِمْ يَقُوْلُوْنَ نَخْشٰٓى اَنْ تُصِيْبَنَا دَآئِرَةٌ ؕ فَعَسَى اللّٰهُ اَنْ يَّاْتِىَ بِالْفَتْحِ اَوْ اَمْرٍ مِّنْ عِنْدِهٖ فَيُصْبِحُوْا عَلٰى مَآ اَسَرُّوْا فِىْٓ اَنْفُسِهِمْ نٰدِمِيْنَ ﴿٥٢﴾ؕ وَيَقُوْلُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَهٰٓؤُلَآءِ الَّذِيْنَ اَقْسَمُوْا بِاللّٰهِ جَهْدَ اَيْمَانِهِمْ ۙ اِنَّهُمْ

---

چھہ پانہ وانِ مُناسبت۔ توہہِ چھنہ تمنِ سیت کانہہ مناسبت۔ وَمَنْ يَّتَوَلَّهُمْ مِّنْكُمْ فَاِنَّهٗ مِنْهُمْ یُس اکھاہ دُوستی لاگہ تمن سیت توہُہ اَندرہ۔ سُویہ گنز راونہ تموی اَندرہ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِى الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ پزیاٹھ اللہ تعالیٰ چھُونہ کامیابی ہنز وَتھ ہاوان ظالمن تِمَن نہ یہ بوزُن تگان چھُوکھ تمن سیت گرٹھہِ دُوستی لاگنِ تمن سیت گرٹھہِ دُشمنی تھاونِ تمِ چھِہ پننٔ نُقصان پانے کران فَتَرَى الَّذِيْنَ فِىْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ پَس ژٕچھان چھُھک ژہ اَی وچھِہ وَنہِ تمِ لُوک یِہندٕ مِن دِلن اَندر نفاقچ بیماری چھِہ۔ يُسَارِعُوْنَ فِيْهِمْ تمِ کتھِ پاٹھِ چھِہ جلدی کران یہُود و نصاریٰ اَن سیت رلنس اَندر تو پتے تمنِ کانہہ شخصاہ تتھہ پیٹھہ ملامت چھُو کران يَقُوْلُوْنَ نَخْشٰٓى اَنْ تُصِيْبَنَا دَآئِرَةٌ دِیان چھِہ اسِ چھِنہ دِلہ کنِ تمنِ سیت رَلان، بلکہ چھِہ اَسِ اکِہ خاص مصلحتہ کنِ تمنِ سیت رَلان۔ اسِ چھِہ کھوژان کہ اَسہِ ماواتہِ کانہہ بلایاہ تمی مُوکھ چھِہ اَسِ تمنِ سیت یار زتھاوان لاگتھ یُتھ تِمہِ ساتہ کرن تِم اَسہِ کانہہ مدتاہ فَعَسَى اللّٰهُ اَنْ يَّاْتِىَ بِالْفَتْحِ اَوْ اَمْرٍ مِّنْ عِنْدِهٖ پَس قریب چھُو کہ اللہ تعالیٰ کرہِ عطا مُسلمانن فتح یا کرہ جاری پننہِ طرفہ کانہہ حُکماہ تہنزِہ کامیابی ہُند، منافقن ہنزِہ رسوائی ہُند فَيُصْبِحُوْا عَلٰى مَآ اَسَرُّوْا فِىْٓ اَنْفُسِهِمْ نٰدِمِيْنَ پَس سپدَن تمہِ ساتہ تِم مُنافق تمن کتھن پیٹھہ یمہِ پنہ نین دِلن اَندر کھٹِت تھوان آسِ نادم تہ پشیمان وَيَقُوْلُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَهٰٓؤُلَآءِ الَّذِيْنَ اَقْسَمُوْا بِاللّٰهِ جَهْدَ اَيْمَانِهِمْ ۙ اِنَّهُمْ لَمَعَكُمْ تمی ساتہ ونن با ایمان تعجبہ کنِ کیاہ تیمَے گئیہ تِمِ لُوکھ یِم خدایہ سندِ سخت قسم ہاوِہاوِ اَسہِ ونان آس زِہ اَسِ چھِہ توہی سیت۔ حقیقس

لَمَعَكُمْ ؕ حَبِطَتْ اَعْمَالُهُمْ فَاَصْبَحُوْا خٰسِرِيْنَ ﴿۵۳﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ
اٰمَنُوْا مَنْ يَّرْتَدَّ مِنْكُمْ عَنْ دِيْنِهٖ فَسَوْفَ يَاْتِى اللّٰهُ بِقَوْمٍ
يُّحِبُّهُمْ وَيُحِبُّوْنَهٗۤ ۙ اَذِلَّةٍ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ اَعِزَّةٍ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ ز
يُجَاهِدُوْنَ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ وَلَا يَخَافُوْنَ لَوْمَةَ لَاۤئِمٍ ؕ ذٰلِكَ
فَضْلُ اللّٰهِ يُؤْتِيْهِ مَنْ يَّشَآءُ ؕ وَاللّٰهُ وَاسِعٌ عَلِيْمٌ ﴿۵۴﴾ اِنَّمَا وَلِيُّكُمُ
اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوا الَّذِيْنَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ

---

اَندر آسِ سانین دُشمَن سیت رلتھ۔ حَبِطَتْ اَعْمَالُهُمْ فَاَصْبَحُوْا خٰسِرِيْنَ تہنزہ سارے کار سازی سپزہ امہِ نفاقہ سیت تباہ تہ بُرباد پَس سپدِ تمِ تاوان زدو اَندرہ۔ دُوشوی طرفو سپدِ تمِ ناکام کیازِہ کافر سَپدِ پانہ مغلُوب۔ مُسلمانن سپز تہنز خباثت معلُوم۔ نہ گئے اُورکِ تہ نہ گئے یُورکِ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَنْ يَّرْتَدَّ مِنْكُمْ عَنْ دِيْنِهٖ اَی بااِیمانوٗیس اکھاہ تۄہہِ اَندرہ پننہِ دِینہ نشہِ یعنی اِسلامہ نشہِ نیرہ، مُرتد سَپدِہ، سُومہَ زانِن تمسندہ مُرتد سَپدنہ سیت ملّوت پزسِ دِینس کانہہ نقصاناہ فَسَوْفَ يَاْتِى اللّٰهُ بِقَوْمٍ يُّحِبُّهُمْ وَيُحِبُّوْنَهٗۤ کیازِہ اسلامی خدمت انجام دِنہ خیطرہ کرِہ اللہ تعالیٰ پیدہ جلدی لُوکو اَندرہ تِتھس جماعتس یَمِ خدایس ٹاٹھِہ آسَن۔ تمنِ تہِ آسہِ خداٹُوٹھ اَذِلَّةٍ عَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ اَعِزَّةٍ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ یَمِ نرم دِل شفیق آسَن بااِیمانن پیٹھ سخت زبردست آسن کافِرن پیٹھ يُجَاهِدُوْنَ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ جہاد کرہ وِن آسن کافِرن سیت خدایہِ سنزہ وتہِ اندر وَلَا يَخَافُوْنَ لَوْمَةَ لَاۤئِمٍ پزِہ چہِ جایہ تہ دِینہ کِس معاملس اندر آسَنِ نہ تمِ کھوژہ وِنِ کانسہ ملامت کرہ وَنِ سندس ملامتس ذٰلِكَ فَضْلُ اللّٰهِ يُؤْتِيْهِ مَنْ يَّشَآءُ بااِیمانن یَمِ صِفت آسَنِ یہِ چھُو خدایہ سُند فضل۔ یتھ جماعتس خوش کریس تتھ جماعتس چھُو عطا کران وَاللّٰهُ وَاسِعٌ عَلِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو پننِس فضلس منز سیٹھاہ وسعتہ وول۔ اگر سُو یژھِہ سارنِی گرہ یَمِ صفت عطا۔ مگر سارنِی ہُند حال چھُو پورزانن وُول۔ تس چھِہ خبر کَس چھِہ قابلیت کَس چھِنہ قابلیت اِنَّمَا وَلِيُّكُمُ اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوا اَی بااِیمانو تہند دوست چھُو اللہ تعالیٰ بیہ تہند پیغمبر بیہ تمِ بااِیمان الَّذِيْنَ

وَ يُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَهُمْ رٰكِعُوْنَ ﴿٥٥﴾ وَمَنْ يَّتَوَلَّ اللّٰهَ وَ
رَسُوْلَهٗ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا فَاِنَّ حِزْبَ اللّٰهِ هُمُ الْغٰلِبُوْنَ ﴿٥٦﴾ ع
يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّخِذُوا الَّذِيْنَ اتَّخَذُوْا دِيْنَكُمْ
هُزُوًا وَّلَعِبًا مِّنَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِكُمْ
وَالْكُفَّارَ اَوْلِيَآءَ ۚ وَاتَّقُوا اللّٰهَ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ﴿٥٧﴾ وَ
اِذَا نَادَيْتُمْ اِلَى الصَّلٰوةِ اتَّخَذُوْهَا هُزُوًا وَّلَعِبًا ؕ ذٰلِكَ
بِاَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا يَعْقِلُوْنَ ﴿٥٨﴾ قُلْ يٰۤاَهْلَ الْكِتٰبِ هَلْ تَنْقِمُوْنَ

---

يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَيُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَهُمْ رٰكِعُوْنَ تِمَن ہنز طریق چھ کہِ برپا چھِ تھاوان تمِ نماز، اداچھِ کران تمِ زکوٰۃ، درحالیکہ تمِ چھِ خشوع کرہ ونِ خدایہ سی برونٹھ کَنہٕ نمہٕ ونِ وَمَنْ يَّتَوَلَّ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا فَاِنَّ حِزْبَ اللّٰهِ هُمُ الْغٰلِبُوْنَ بیہٕ یِم لوکھ دُوست تھاوَن خدایس بیہٕ تہندِس پیٛغمبرس بیہٕ باایمانن۔ تمِ گے خدایہ سندِ لُوکھ تہٕ خدایہ سنز جماعت پزپاٹھِ خدایہ سنز جماعتھی چھہ غالب۔ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّخِذُوا الَّذِيْنَ اتَّخَذُوْا دِيْنَكُمْ هُزُوًا وَّلَعِبًا مِّنَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِكُمْ وَالْكُفَّارَ اَوْلِيَآءَ اَی بااِیمانو تِم لُوکھ یِم تُہندس دِینس چھِ ٹھٹھہ کران تہٕ گِندان، بکمالِ حقارت وُچھان یُس اِنکارُک علامت چھُ تِموٕ لُوکو اَندرہ یِمَن کِتاب آیہٕ دِنہٕ توہہِ برونٹھ یعنی یہُود و نصاریٰ بیہٕ تِتھے پاٹھ کافِر تہٕ مُشرِک مہٕ بناویوکھ پنٕن دوست وَاتَّقُوا اللّٰهَ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ بیہٕ کھوژو خدایس، یعنی تہنز نافرمانی کرنس چھِوے تُہہ پزپاٹھِ بااِیمان وَاِذَا نَادَيْتُمْ اِلَى الصَّلٰوةِ اتَّخَذُوْهَا هُزُوًا وَّلَعِبًا ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا يَعْقِلُوْنَ یِتھہ پاٹھِ تُہندِ دِینہٕ کین اصُولن سیت چھِ تِم ٹھٹھہ کران تِتھے پاٹھہٕ چھِ تِم تُہندِ دِینکن فروعَن سیت تہٕ ٹھٹھہ کران۔ چنانچہِ یِمہٕ ساتہٕ تُہہ لوگن نادِوان چھوہ نمازِہ کُن یعنی بانگ دِوان چھوہ۔ تتھ تہٕ چھِ تِم ٹھٹھہ کران۔ گِند عہناہ بُوزان۔ کیازِ یِہ چھہ جماعتھاہ

مِنَّآ اِلَّآ اَنْ اٰمَنَّا بِاللّٰہِ وَمَآ اُنْزِلَ اِلَیْنَا وَمَآ اُنْزِلَ مِنْ
قَبْلُ ۙ وَاَنَّ اَکْثَرَکُمْ فٰسِقُوْنَ ﴿۵۹﴾ قُلْ ہَلْ اُنَبِّئُکُمْ بِشَرٍّ مِّنْ ذٰلِکَ
مَثُوْبَۃً عِنْدَ اللّٰہِ ؕ مَنْ لَّعَنَہُ اللّٰہُ وَغَضِبَ عَلَیْہِ وَجَعَلَ
مِنْہُمُ الْقِرَدَۃَ وَالْخَنَازِیْرَ وَعَبَدَ الطَّاغُوْتَ ؕ اُولٰٓئِکَ شَرٌّ
مَّکَانًا وَّاَضَلُّ عَنْ سَوَآءِ السَّبِیْلِ ﴿۶۰﴾ وَاِذَا جَآءُوْکُمْ قَالُوْٓا

---

عقلہ رُستی۔ قُلْ یٰٓاَہْلَ الْکِتٰبِ ہَلْ تَنْقِمُوْنَ مِنَّآ اِلَّآ اَنْ اٰمَنَّا بِاللّٰہِ وَمَآ اُنْزِلَ اِلَیْنَا وَمَآ اُنْزِلَ مِنْ قَبْلُ وَاَنَّ اَکْثَرَکُمْ فٰسِقُوْنَ فرماوِیُوکھ تہٕ یارسُول اللہ ای اہل کِتابو یعنی یہُودو تہٕ کرٛسچو کتھ پھُوہ اَسہِ اندر عیٖب لبان۔ یتھ پیٹھ تُہۍ اَسہ پھو ٹھٹھہ کران۔ کیاہ یوہے اِلزام پھو توہہ دِوان کہ اَسہِ کیاکر پڑھ کُنس خدائیس بیہِ تتھ یہِ اَسہِ کُن نازِل آو کرنہ یعنی قرآن مجید۔ بیہِ تتھ یہِ نازِل آو کرنہ اَسہِ برونٹھ یعنی تورات و انجیل۔ بیہِ کیاہ چھہِ اَسِ وَنان کہ توہہِ اندرہ چھہِ اکثر تمِ یم نافرمان چھہِ۔ یمِ نہ پننہِ کِتابہِ ہُند یعنی توراتُک حُکم مانان چھہِ۔ نہ چھہ توہہِ قرآنِ مجیدچ پڑھ نہ تورات وانجیلچ پڑھ۔ کیازِہ تورات وانجیلس منز چھُو قرآن مجیدس پڑھ کرنک حُکم۔ تہٕ پھُوہ تتھ اِنکار کران۔ یمِ اکس حصّس اِنکار کور تمِ کور سارسی اِنکار۔ لہٰذا چھُو عیبدار تہٕ قابلِ مذمت تہٕ۔ ٹھٹھس سزاوارتہٕ تہٕ مگر پٔن عیب چھوہ نہ بُوزنہ یوان کینہہ اَسہِ پھوہ پھیرت ناحق ٹھٹھہ کران قُلْ ہَلْ اُنَبِّئُکُمْ بِشَرٍّ مِّنْ ذٰلِکَ مَثُوْبَۃً عِنْدَ اللّٰہِ فرماوِیُوکھ تہٕ یارسُول اللہ کہ بُوماکروہ خبر زہ خدائیس نشہِ کوسہ وَتھ چھ بدتر جزاءکہِ تہٕ مزورہِ ہندہِ اِعتبارہ مَنْ لَّعَنَہُ اللّٰہُ وَغَضِبَ عَلَیْہِ وَجَعَلَ مِنْہُمُ الْقِرَدَۃَ وَالْخَنَازِیْرَ وَعَبَدَ الطَّاغُوْتَ سوچھہ تمنِ لوگن ہنز وَتھ یمنِ پیٹھ اللہ تعالیٰ اَن لعنت کر۔ یمنِ پیٹھ تہنز بیزاری پھہ یمنِ اللہ تعالیٰ اَن مسخ صُورت کرِتھہ واندرن تہٕ سوٗرن ہنر شکل کر۔ بیہِ کر تمِوٗ پرستش شیطانہ سنز۔ ووَنِ وچھِتو تہٕ کوسہ وَتھ چھہ تِچھہ سوٗ وَتھ یتھ منز غیر اللہ سنز پرستش کرنہ یِیہ کنہ سوٗ وَتھ یتھ منز توحید ی توحید چھُو یتھ منز انبیاءن ہُند تصدیق چھُو۔ اُولٰٓئِکَ شَرٌّ مَّکَانًا وَّاَضَلُّ عَنْ سَوَآءِ السَّبِیْلِ تمِ لُوکھ چھہِ تمِ سیٹھاہ بد

اٰمَنَّا وَقَدْ دَّخَلُوْا بِالْكُفْرِ وَهُمْ قَدْ خَرَجُوْا بِهٖ ؕ وَاللّٰهُ
اَعْلَمُ بِمَا كَانُوْا يَكْتُمُوْنَ ﴿٦١﴾ وَتَرٰى كَثِيْرًا مِّنْهُمْ يُسَارِعُوْنَ
فِى الْاِثْمِ وَالْعُدْوَانِ وَاَكْلِهِمُ السُّحْتَ ؕ لَبِئْسَ مَا كَانُوْا
يَعْمَلُوْنَ ﴿٦٢﴾ لَوْلَا يَنْهٰىهُمُ الرَّبّٰنِيُّوْنَ وَالْاَحْبَارُ عَنْ
قَوْلِهِمُ الْاِثْمَ وَاَكْلِهِمُ السُّحْتَ ؕ لَبِئْسَ مَا كَانُوْا يَصْنَعُوْنَ ﴿٦٣﴾
وَقَالَتِ الْيَهُوْدُ يَدُ اللّٰهِ مَغْلُوْلَةٌ ؕ غُلَّتْ اَيْدِيْهِمْ وَلُعِنُوْا بِمَا

---

ترڇھ آخر تس اندر جايہ ڪِن ڪيازہ يھنز جاي ڇھ نار جھنّم بيہ ڇھ يژ ذلمت سيزہ وَتہ نشہ ڪيازہ توحيد و تصديق رسالتہ نشہِ ڇھ تمِ سيٹھاہ دُور، يتھين شخصن ھنز وَتھ يُوسہ سبب سپدہ نار جھنّچ خدايس نشہ دُوري ھنز، يقيناگيہ سوٗي وتھ سيٹھاہ ڇھ، اَي يھوٗدو توہہ ڇھوہ اختيار ڪر مژيہ وَتھ۔ لھذا اگمہ بُتھ ڇھوہ تہہ موحّدن تصديقِ انبياء ڪرہوين معبود برحقہ سنز عبادت ڪرہوين ٹھٹھ ڪران وَاِذَا جَآءُوْكُمْ قَالُوْٓا اٰمَنَّا وَقَدْ دَّخَلُوْا بِالْكُفْرِ وَهُمْ قَدْ خَرَجُوْا بِهٖ بيہ يلہ تمِ منافق توہہ نشہ يوان ڇھ دپان ڇھ توہہ اَسہ اوٗن ايمان حالانکہ يم ژاي تہ ڪُفر ہيتھي تہ دراي تہ ڪُفر ہيتھي وَاللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا كَانُوْا يَكْتُمُوْنَ اللہ تعالیٰ سي ڇھ پوٗر علم تمن سارني ڪتھن ہند يمہ ڪتھ تہ عقائد تمِ دِلن منز ڪھٹان آسِ يعني عقائدِ ڪُفر يہ وَتَرٰى كَثِيْرًا مِّنْهُمْ يُسَارِعُوْنَ فِى الْاِثْمِ وَالْعُدْوَانِ وَاَكْلِهِمُ السُّحْتَ بيہ ڇھوک تہہ وُڇھان تمو يھوٗدو اندرہ واريہ لوکھ تمِ دُورہ دُور ڇھ ڪران گنہہ يعني اپزونہ نس اندر بيہ ظُلم ڪرنس تہ مالِ حرام کھينس اندر لَبِئْسَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ واقعي سيٹھاہ ڇھ تمہ ڪامہ يمہ تمِ ڪران آسِ لَوْلَا يَنْهٰىهُمُ الرَّبّٰنِيُّوْنَ وَالْاَحْبَارُ عَنْ قَوْلِهِمُ الْاِثْمَ وَاَكْلِهِمُ السُّحْتَ ؕ لَبِئْسَ مَا كَانُوْا يَصْنَعُوْنَ تمن ڪونہ سنا ڇھ عالم تہ مشائخ منع ڪران اپزونہ نشہ تہ حرام کھينہ نشہ۔ البتہ سيٹھاہ ڇھ ڇھوہ تہ سوروي يہ تمِ ڪران آس وَقَالَتِ الْيَهُوْدُ يَدُ اللّٰهِ مَغْلُوْلَةٌ يھوٗدو دوپ خدايہ سُند اَتھ ڇھو عطاو بخشش ڪرنہ نشہ بند يعني نعوذ باللہ بُخل ڇھو ڪران۔ غُلَّتْ اَيْدِيْهِمْ وَلُعِنُوْا بِمَا قَالُوْا حقيقتس منز ڇھ بند گامت تہندي اَتھ، ڪيازہ

قَالُوۡا بَلۡ يَدٰهُ مَبۡسُوۡطَتٰنِ ۙ يُنۡفِقُ كَيۡفَ يَشَآءُ ؕ وَلَيَزِيۡدَنَّ كَثِيۡرًا مِّنۡهُمۡ مَّاۤ اُنۡزِلَ اِلَيۡكَ مِنۡ رَّبِّكَ طُغۡيَانًا وَّكُفۡرًا ؕ وَاَلۡقَيۡنَا بَيۡنَهُمُ الۡعَدَاوَةَ وَالۡبَغۡضَآءَ اِلٰى يَوۡمِ الۡقِيٰمَةِ ؕ كُلَّمَاۤ اَوۡقَدُوۡا نَارًا لِّلۡحَرۡبِ اَطۡفَاَهَا اللّٰهُ ۙ وَيَسۡعَوۡنَ فِى الۡاَرۡضِ فَسَادًا ؕ وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ الۡمُفۡسِدِيۡنَ ﴿٦٤﴾ وَلَوۡ اَنَّ اَهۡلَ الۡكِتٰبِ اٰمَنُوۡا وَاتَّقَوۡا لَكَفَّرۡنَا عَنۡهُمۡ سَيِّاٰتِهِمۡ وَلَاَدۡخَلۡنٰهُمۡ جَنّٰتِ النَّعِيۡمِ ﴿٦٥﴾ وَلَوۡ اَنَّهُمۡ اَقَامُوا

تم چھِ پانہ سخت بخیل۔ اژہ کتھہ ونہ سبہ آیہِ تمن لعنت کرنہ۔ تم آی خدایہ سنزِ رحمتہ نشہِ دُور کرنہ۔ بَلۡ يَدٰهُ مَبۡسُوۡطَتٰنِ يُنۡفِقُ كَيۡفَ يَشَآءُ بلکہ چھِ خدایہ سند دوشوے اتھہ وتھی۔ سُو چھُو خرچ کران، پنٕن فضل وکرم عطا کران یتھہ پاٹھۍ خوش چھُس کران۔ تمن خوش چھُس کران وَلَيَزِيۡدَنَّ كَثِيۡرًا مِّنۡهُمۡ مَّاۤ اُنۡزِلَ اِلَيۡكَ مِنۡ رَّبِّكَ طُغۡيَانًا وَّكُفۡرًا توہہِ پیٹھ یہ نازل کرنہ آو تُہندِس پروردگارہ سندہ طرفہ تہ ہر راوِہ ضرور تمو اندرہ وارِیہن یہُو دن سرکشی تہ کُفر تمن سپدہ نہ پننہ جُرمک احساس کُنہِ وقتہ وَاَلۡقَيۡنَا بَيۡنَهُمُ الۡعَدَاوَةَ وَالۡبَغۡضَآءَ اِلٰى يَوۡمِ الۡقِيٰمَةِ تمی سرکشی تہ کُفرک نتیجہ چھُوکھ اسہِ ترو و تمنِ اندر عداوت تہ بغض یُس نہ قیامتس تام یمن منز دُور سپدِہ كُلَّمَاۤ اَوۡقَدُوۡا نَارًا لِّلۡحَرۡبِ اَطۡفَاَهَا اللّٰهُ یلہِ یلہِ تم لڑایہ تہ جنگہ نار چھِ مُسلمانن خلاف زٕہ راوان اللہ تعالیٰ چھُو تتھ نارس ژھیمتہ کران یلہِ تم تتھ منز ناکام چھِ سپدان وَيَسۡعَوۡنَ فِى الۡاَرۡضِ فَسَادًا وَاللّٰهُ لَا يُحِبُّ الۡمُفۡسِدِيۡنَ تم چھِ پوشیدہ طور سیٹھاہ کوشش کران مُلکس اندر خرابی ہنز تہ فسادچ، چونکہ اللہ تعالیٰ چھُو نہ ہرگز پسند کران مُفسدن تہ خرابی کرہ وینِن۔ لہٰذا دیہِ تمن ضرور سزا وَلَوۡ اَنَّ اَهۡلَ الۡكِتٰبِ اٰمَنُوۡا وَاتَّقَوۡا لَكَفَّرۡنَا عَنۡهُمۡ سَيِّاٰتِهِمۡ وَلَاَدۡخَلۡنٰهُمۡ جَنّٰتِ النَّعِيۡمِ ہرگاہ اہلِ کتاب پژھ کرہ ہن بیہ نافرمانیو نشہِ پتھہ روزہ ہن اسِہ کرہ ہو ضرور تہندین گُنہن بخشائیش، بیہ واتناوہ ہوکھ ضرور نعمتن ہندِس جنتس اندر مگر تم چھِ پننہِ سرکشی تہ نافرمانی ترٲوان یمہِ سبہ تم پنٕن پان محروم چھِ کران۔ وَلَوۡ اَنَّهُمۡ اَقَامُوا التَّوۡرٰٮةَ وَالۡاِنۡجِيۡلَ وَمَاۤ اُنۡزِلَ اِلَيۡهِمۡ مِّنۡ رَّبِّهِمۡ

التَّوْرٰىةَ وَالْاِنْجِيْلَ وَمَآ اُنْزِلَ اِلَيْهِمْ مِّنْ رَّبِّهِمْ لَاَكَلُوْا مِنْ
فَوْقِهِمْ وَمِنْ تَحْتِ اَرْجُلِهِمْ ؕ مِنْهُمْ اُمَّةٌ مُّقْتَصِدَةٌ ؕ وَكَثِيْرٌ
مِّنْهُمْ سَآءَ مَا يَعْمَلُوْنَ ﴿٦٦﴾ ع يٰٓاَيُّهَا الرَّسُوْلُ بَلِّغْ مَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ
مِنْ رَّبِّكَ ؕ وَاِنْ لَّمْ تَفْعَلْ فَمَا بَلَّغْتَ رِسَالَتَهٗ ؕ وَاللّٰهُ يَعْصِمُكَ
مِنَ النَّاسِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِى الْقَوْمَ الْكٰفِرِيْنَ ﴿٦٧﴾ قُلْ يٰٓاَهْلَ
الْكِتٰبِ لَسْتُمْ عَلٰى شَىْءٍ حَتّٰى تُقِيْمُوا التَّوْرٰىةَ وَالْاِنْجِيْلَ وَمَآ

---

لَاَكَلُوْا مِنْ فَوْقِهِمْ وَمِنْ تَحْتِ اَرْجُلِهِمْ بيہ ہر گاہ تم تورات وِانجيلک اَحکام بيہ تمِ احکام تمِ تمن گُن نازِل کرنہ آی بَواسطہ پيغمبر آخرُ الزّمان صلی اللہ عليہِ وَسلّم بجا اَنہن تمن ثِلہِ ہا سارِی تنگی، اَدہ آسہن کھيوان خدايہِ سنزہ تمہِ نعمژ يمہِ تمنِ پيٹھکنِ آسمانکہِ طرفہ وَسان پھہ۔ يمہِ يہنديو کھو روبُون گُن زمينہ منزہ کھسان پھہ۔ مگر تموِ کر تورات وانجيلچ ساری تعليم ضائع تمِے گے خوار تہ ذليل مِنْهُمْ اُمَّةٌ مُّقْتَصِدَةٌ تموِ اَندرہ پھہ اکھ جماعتھاہ مِيانہ روِی کران تمِ گے يمِو پيغمبر آخر الزمانس اِيمان اُون تہ پڑھ کر، حضرتِ عبداللہ بنِ سلام ہوِ يہُودَن اَندر، حضرتِ نجاشی ہيو نصارىٰ ان اندر وَكَثِيْرٌ مِّنْهُمْ سَآءَ مَا يَعْمَلُوْنَ اکثر پھہِ يہُودو اَندرہ تمِ يہنزہ کامہِ سيٹھاہ تچھہ پھہ يٰٓاَيُّهَا الرَّسُوْلُ بَلِّغْ مَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ ، ای بڑہِ پيغمبرہ واتناوِ خدايہِ سَندِين بندن تہ سورُوی يہِ نازِل آو کرنہ توہہِ کُن تُہندِس پروردگارہ سَندِہ طرفہ۔ دُشمنن ہُندمہ برِوکانہہ پروا۔ وَاِنْ لَّمْ تَفْعَلْ فَمَا بَلَّغْتَ رِسَالَتَهٗ ، ہر گاہ تہہ تہ کرِونہ يعنی سورُوی نہ واتناوِنہ سيت يتھ پاٹھہِ يہِ فرض پُھٹان پھُوتِتھے پاٹھہِ تمہِ منزہ کانہہ کتھاہ نہ واتناوِنہ سيت تہ پھُو يہِ فرض پُھٹان۔ تبليغ اِحکامَن اَندرمہ برِو تہہ دُشمن ہُند کانہہ پروا وَاللّٰهُ يَعْصِمُكَ مِنَ النَّاسِ اللہ تعالی حِض گرِہ پانہ توہہِ راپھہِ لُوکن ہندِہ شرہ نِشہِ۔ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِى الْقَوْمَ الْكٰفِرِيْنَ پزِ پاٹھِ اللہ تعالی ہاوہ نہ ہر گز کاميابی ہنز وَتھ کافرن۔ تمِ ہيکن نہ توہہِ کينہہ کرِتھ قُلْ يٰٓاَهْلَ الْكِتٰبِ لَسْتُمْ عَلٰى شَىْءٍ فرماوِ يُوکھ تہہ يا رسول اللہ ای اہلِ کِتابو تہہ پھوہ نہ کُنہ صحيح وَتہ پيٹھ۔ حَتّٰى تُقِيْمُوا التَّوْرٰىةَ

أُنْزِلَ إِلَيْكُمْ مِّنْ رَّبِّكُمْ ؕ وَلَيَزِيدَنَّ كَثِيرًا مِّنْهُمْ مَّآ أُنْزِلَ إِلَيْكَ
مِنْ رَّبِّكَ طُغْيَانًا وَّكُفْرًا ۚ فَلَا تَأْسَ عَلَى الْقَوْمِ الْكٰفِرِينَ ﴿٦٨﴾
إِنَّ الَّذِينَ اٰمَنُوا وَالَّذِينَ هَادُوا وَالصّٰبِئُونَ وَالنَّصٰرٰى
مَنْ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ وَعَمِلَ صَالِحًا فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ
يَحْزَنُونَ ﴿٦٩﴾ لَقَدْ أَخَذْنَا مِيثَاقَ بَنِيٓ إِسْرَآءِيلَ وَأَرْسَلْنَآ إِلَيْهِمْ
رُسُلًا ؕ كُلَّمَا جَآءَهُمْ رَسُولٌۢ بِمَا لَا تَهْوٰٓى أَنْفُسُهُمْ ۙ فَرِيقًا كَذَّبُوا

---

وَالْإِنْجِيلَ وَمَآ أُنْزِلَ إِلَيْكُمْ مِّنْ رَّبِّكُمْ يُوستائِن نه ٿيهه بجاآنو تورات وانجيلکِ احکام بيه تم اَحکام تيم نازل کرنه آيَے توهه کُن بواسطه پيغمبر آخر الزّمان صلى الله عليه وسلّم يعنی قرآن مجيد وَلَيَزِيدَنَّ كَثِيرًا مِّنْهُمْ مَّآ أُنْزِلَ إِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ طُغْيَانًا وَّكُفْرًا بيه هُر راوهِ ضرُورته يه توهه کُن آو نازِل کرنه ٿهندِس پروردگاره سَندِه طرفه تمِن يهُودَن ته نصارىٰ اَن سرکشی ته کُفر فَلَا تَأْسَ عَلَى الْقَوْمِ الْكٰفِرِينَ پَس مه کرِ وتهه افسُوس تمِن لُوکن هندِس حالَس پيٹھ تمو پزهِ نشهِ اِنکار گُور إِنَّ الَّذِينَ اٰمَنُوا وَالَّذِينَ هَادُوا وَالصّٰبِئُونَ وَالنَّصٰرٰى يه چھه پزکتھ که تمِ لُوکهِ تمو ايمان اُون بيه تمِ لُوک تمِ يهُودی، صابی ته نصارىٰ چھه مَنْ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ وَعَمِلَ صَالِحًا تمو سارِوِی اَندره تمو ايمان اُون کُنس خدايس بيه تمس دُوهس يعنی قيامَتس۔ بيه کريکھ رٹه عمله فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُونَ پَس چھُونه تمِن آخرتس اَندر کانهه خوفاه نه چھُو تمِن کانهه غماه لَقَدْ أَخَذْنَا مِيثَاقَ بَنِيٓ إِسْرَآءِيلَ وَأَرْسَلْنَآ إِلَيْهِمْ رُسُلًا يتھ منز چھُونه کانهه شک که اَسهِ کرناوِ بنی اسرائيل سارنی پيغمبرن تصديق واطاعت کرنس پيٹھ برونٹھ تهِ عهد۔ بيه سوزِ تمِن کُن وارياه پيغمبر سُو عهد ژتيس پاونه خيطره كُلَّمَا جَآءَهُمْ رَسُولٌۢ بِمَا لَا تَهْوٰٓى أَنْفُسُهُمْ فَرِيقًا كَذَّبُوا وَفَرِيقًا يَّقْتُلُونَ مگر تهنز حالت آس يلهِ تمِن نشهِ کانه پيغمبراه اُوس واتان تم حُکم هيت تمِ نه تهنزن نفسانی خواهش مُوافق آسان آسِ تمِ آسِ تمو پيغمبرو اَندره بعضين اپز يرونان بعضين آسِ قتل کران۔ وَحَسِبُوٓا أَلَّا تَكُونَ فِتْنَةٌ خيال آسِ کران اَتھ پيٹھ دُوتهه نه باز خواستی کينهه فَعَمُوا وَصَمُّوا پَس سپدِ اَنِ

وَفَرِيقًا يَقْتُلُونَ ﴿٧٠﴾ وَحَسِبُوٓا أَلَّا تَكُونَ فِتْنَةٌ فَعَمُوا وَصَمُّوا ثُمَّ تَابَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ ثُمَّ عَمُوا وَصَمُّوا كَثِيرٌ مِّنْهُمْ ۚ وَاللّٰهُ بَصِيرٌۢ بِمَا يَعْمَلُونَ ﴿٧١﴾ لَقَدْ كَفَرَ الَّذِينَ قَالُوٓا إِنَّ اللّٰهَ هُوَ الْمَسِيحُ ابْنُ مَرْيَمَ ۖ وَقَالَ الْمَسِيحُ يٰبَنِيٓ إِسْرَآءِيلَ اعْبُدُوا اللّٰهَ رَبِّي وَرَبَّكُمْ ۖ إِنَّهُ مَنْ يُّشْرِكْ بِاللّٰهِ فَقَدْ حَرَّمَ اللّٰهُ عَلَيْهِ الْجَنَّةَ وَمَأْوٰىهُ النَّارُ ۖ وَمَا لِلظّٰلِمِينَ مِنْ أَنْصَارٍ ﴿٧٢﴾ لَقَدْ كَفَرَ الَّذِينَ قَالُوٓا إِنَّ اللّٰهَ ثَالِثُ

---

تہٕ زٕر ثُمَّ تَابَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ توبہٕ کر اللہ تعالیٰ ان تمن پیٹھ پننہٕ رحمتہ سیت توجہ کہٕ بیاکھ پیغمبر اہ سُوزِن تمن کُن دُیوہ تمِ سیزٕ ہ وتہٕ پیٹھ ین۔ مگر ثُمَّ عَمُوا وَصَمُّوا كَثِيرٌ مِّنْهُمْ توبہٕ سپدٕ بیہٕ تموٚ اَندرٕ وارِیاہ اَنِ تہٕ زٕر یعنی تعمیل احکام کرنہٕ نشہِ کرکھ رُوگردانی وَاللّٰهُ بَصِيرٌۢ بِمَا يَعْمَلُونَ اللہ تعالیٰ اُوس تہنزٕ ہ سارے کامہٕ ڈُچھان یعنی تُہند خیال اُوس غلط کہٕ اَسہٕ چھُونہٕ باز خواستی کینہہ لَقَدْ كَفَرَ الَّذِينَ قَالُوٓا إِنَّ اللّٰهَ هُوَ الْمَسِيحُ ابْنُ مَرْيَمَ یقیناً چھِ تِم لُوکھ کافِر یِمو وَنان چھِ خدا چھُو عین مسیح مریمہ سُند نچو یعنی تِم زٕ چھِ مُتحد تہٕ گُنی وَقَالَ الْمَسِيحُ يٰبَنِيٓ إِسْرَآءِيلَ اعْبُدُوا اللّٰهَ رَبِّي وَرَبَّكُمْ حالانکہ پانہٕ چھُو فرماوان مسیح بن مریم اَی بنی اسرائیلو عبادت کرِو تَہٕ معبود برحقہٕ سنز، یُس میُون تہٕ تُہند پروردگار چھُو إِنَّهُ مَنْ يُّشْرِكْ بِاللّٰهِ فَقَدْ حَرَّمَ اللّٰهُ عَلَيْهِ الْجَنَّةَ وَمَأْوٰىهُ النَّارُ بیشک یِم اَکِ خدا یِس، بیہٕ کانہہ کُنہٕ چیزس منز شریک ٹھہراوِ تس پیٹھ کور یقیناً اللہ تعالیٰ اَن جنّت حرام۔ تہنز جاے چھِ نارِ جہنّم وَمَا لِلظّٰلِمِينَ مِنْ أَنْصَارٍ یتھین ظالمن ہندٕ ہ خیطرٕ ہ آسہٕ نہٕ کانہہ مدد گار اہ یُس نارٕ نشہِ مُوکلاوِت تمن جنتس منز واتناوِ ہ۔ یتھ پاٹھہٕ عقیدہ اِتحاد باطِل چھُو تِتھے پاٹھہٕ چھُو عقیدہ تثلیث تہٕ باطل۔ چنانچہ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان لَقَدْ كَفَرَ الَّذِينَ قَالُوٓا إِنَّ اللّٰهَ ثَالِثُ ثَلٰثَةٍ یقیناً چھِ تِم لُوکھ تہٕ کافر یِمو دوٚپ خدا چھُو تریَو اَندرٕ اکھ (مول۔ گوبُر۔ بیہٕ روحُ القدس وَمَا مِنْ إِلٰهٍ إِلَّآ إِلٰهٌ وَّاحِدٌ حالانکہ کانہہ معبود اہ چھُونہٕ کُنس خدا یِس ورای۔ وَإِنْ لَّمْ يَنْتَهُوا عَمَّا يَقُولُونَ لَيَمَسَّنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا مِنْهُمْ عَذَابٌ أَلِيمٌ ہرگاہ تِم یِمو کتھو نشہِ پتھ روزن نہٕ البتہ

ثَلٰثَةٍ ۘ وَمَا مِنْ اِلٰهٍ اِلَّآ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ ؕ وَاِنْ لَّمْ يَنْتَهُوْا عَمَّا يَقُوْلُوْنَ
لَيَمَسَّنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿٧٣﴾ اَفَلَا يَتُوْبُوْنَ اِلَى
اللّٰهِ وَيَسْتَغْفِرُوْنَهٗ ؕ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿٧٤﴾ مَا الْمَسِيْحُ ابْنُ مَرْيَمَ اِلَّا
رَسُوْلٌ ۚ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِ الرُّسُلُ ؕ وَاُمُّهٗ صِدِّيْقَةٌ ؕ كَانَا يَاْكُلٰنِ
الطَّعَامَ ؕ اُنْظُرْ كَيْفَ نُبَيِّنُ لَهُمُ الْاٰيٰتِ ثُمَّ انْظُرْ اَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ ﴿٧٥﴾
قُلْ اَتَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا لَا يَمْلِكُ لَكُمْ ضَرًّا وَّلَا نَفْعًا ؕ

ضرور رٹہِ تمن، یمو کُفر چھِ کَتھ کرِہ تموٲندرہ، آخرتس اَندرکُڈر عذاب یَس دگ تہٕ دود تلہٕ وُن آسہِ
اَفَلَا يَتُوْبُوْنَ اِلَى اللّٰهِ وَيَسْتَغْفِرُوْنَهٗ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ تمِ توحیدک مضامین تہٕ شرکک وعید شدید
بُوزِتھ تہٕ چھنا تمِ خدایس کُن رجوع کرِتھ توبہ کران، بیہِ کونہ چھِ تس مغفرت منگان۔ سُو کرہ ہکھ
مغفرت کیازہ سُو چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن سیٹھاہ رحم کرہ وُن مَا الْمَسِيْحُ ابْنُ مَرْيَمَ اِلَّا رَسُوْلٌ حضرتِ
مسیح بنِ مریم نے چھُو عینِ خدا نہ چھُو جزء خدا بلکہ چھُو اکھ مرتبہ وُول پیغمبراہ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِ الرُّسُلُ
تس برونٹھ تہٕ چھِ گُذرے متِ کاتیاہ صاحبِ معجزات پیغمبر تمَن نہ عیسائی خدا مانان چھِ۔ ہرگاہ پیغمبری
یا مُعجزہ، خُدا آسنُک دلیل چھِہ۔ تلہ گژھِہ تمِ ساری پیغمبر تہٕ خدا ازانن۔ ہرگاہ پیغمبری تہٕ مُعجزات خدا آسنِک دلیل
چھنہ تلہِ کیاہ خصوصیّت چھِہ حضرتِ عیسیٰ سنز تمِ چھوک عیَن خدا یا جزء خدا مانان وَاُمُّهٗ صِدِّيْقَةٌ تہٕتھے
پاٹھِ چھنہ تہنز والدہ تہٕ خدا تہٕ نہ جزء خُدا بلکہ چھِہ سُو پزر یِر نیکو کار زنانہ۔ تمِن دوشوِن ہندہ خدا نہ آسنِک
دلیل كَانَا يَاْكُلٰنِ الطَّعَامَ تمِ دوشوِے ماجہِ پتھر آسِ ساری اِنسانن ہندِ پاٹھِ غذا کھیوان۔ تمِ پنِن زندگی
قایم تھاونہ خیطرہ کھینس چنیس کُن محتاج آسَن تمِ ہیکنہ خدا آستھ یا خدایہ سند شریک آستھ۔ کیازہ خدا گو
سُوی یُس نہ کُنہِ چیزس کُن محتاج آسہِ اُنْظُرْ كَيْفَ نُبَيِّنُ لَهُمُ الْاٰيٰتِ ثُمَّ انْظُرْ اَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ وچھواَسِ کتھہ کنِ
چھِ تمَن لُوگن وضاحتہ سان دلیلہ بیان کران۔ تو پتہ وچھو کُن چھِ تمِ ڈلتھ پھیران۔ یہ پزکتھ ما چھکھ
بُوزنہ یوان۔ قُلْ اَتَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا لَا يَمْلِكُ لَكُمْ ضَرًّا وَّلَا نَفْعًا تہہٕ فرماوُکھ یا رسول اللہ

وَاللّٰهُ هُوَ السَّمِيۡعُ الۡعَلِيۡمُ ﴿۷۶﴾ قُلۡ يٰۤاَهۡلَ الۡكِتٰبِ لَا تَغۡلُوۡا فِىۡ دِيۡـنِكُمۡ غَيۡرَ الۡحَـقِّ وَلَا تَتَّبِعُوۡۤا اَهۡوَآءَ قَوۡمٍ قَدۡ ضَلُّوۡا مِنۡ قَبۡلُ وَاَضَلُّوۡا كَثِيۡرًا وَّضَلُّوۡا عَنۡ سَوَآءِ السَّبِيۡلِ ﴿۷۷﴾ لُعِنَ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا مِنۡۢ بَنِىۡۤ اِسۡرَآءِيۡلَ عَلٰى لِسَانِ دَاوٗدَ وَعِيۡسَى ابۡنِ مَرۡيَمَ‌ ؕ ذٰ لِكَ بِمَا عَصَوْا وَّكَانُوۡا يَعۡتَدُوۡنَ ﴿۷۸﴾ كَانُوۡا لَا يَتَـنَاهَوۡنَ عَنۡ مُّنۡكَرٍ فَعَلُوۡهُ‌ ؕ لَبِئۡسَ مَا كَانُوۡا يَفۡعَلُوۡنَ ﴿۷۹﴾

---

اَے یہُودو نصارٰیُو! کیاہ تہٕ چھوہ معبوٗد بر حق تراوِتھ تمن مخلوقن ہنز پرستش کران یِم نہ مالک چھہِ تُہندِس کُنہِ چیزٕس نفع تہٕ ضررس وَاللّٰهُ هُوَ السَّمِيۡعُ الۡعَلِيۡمُ حالانکہ اللہ تعالیٰ ای چھُو سورُوی بُوزہ وُن سورُوی زانہ وُن توتہٕ چھوہ نہ تہٕ تس کھوڑان تہٕ کفروشرک نشہٕ بازیوان قُلۡ يٰۤاَهۡلَ الۡكِتٰبِ لَا تَغۡلُوۡا فِىۡ دِيۡـنِكُمۡ غَيۡرَ الۡحَـقِّ فرمادیُو کھ تہٕ یا رسُول اللہ ای اہلِ کتابو ناحق مہٕ آسو پننہِ دینہ کین معاملن اَندر حدہ ڈلان وَلَا تَتَّبِعُوۡۤا اَهۡوَآءَ قَوۡمٍ قَدۡ ضَلُّوۡا مِنۡ قَبۡلُ بیہ مہٕ آسو پیروی کران تمن لُوکن ہنز یِم توہہٕ برونٹھی چھہِ گُمراہ سپدمت وَاَضَلُّوۡا كَثِيۡرًا بیہ چھہِ تمو پانس سیت واریاہ گمراہ کرمت وَّضَلُّوۡا عَنۡ سَوَآءِ السَّبِيۡلِ بیہ چھہِ تم پانہ سیزٕ وَتہٕ نشہٕ بالکل ڈلمت لُعِنَ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا مِنۡۢ بَنِىۡۤ اِسۡرَآءِيۡلَ عَلٰى لِسَانِ دَاوٗدَ وَعِيۡسَى ابۡنِ مَرۡيَمَ یہ لعنت آیہ کرنہ تمن یِم بنی اسرائیلو اَندرہ کافر سپدِ حضرتِ داووٗدہ سندس بد دُعا کرنس پیٹھ۔ تم گے شہر ایلک لُوکھ۔ بیہ حضرتِ عیسیٰ فرزند حضرتِ مریمہ سندِس بد دُعا کرنس پیٹھ۔ تم گے اصحابِ مایدہ۔ تمن ہنز ذکر بروٹھہ ایہ تہٕ چھُومُراد تمن ہندہِ لعنچ ذکر چھہ زبُورس منز تہٕ انجیلس منز تہٕ ذٰ لِكَ بِمَا عَصَوْا وَّكَانُوۡا يَعۡتَدُوۡنَ یہ لعنت آیہ تمن کرنہ امی مُوکھہ کہِ تمو کیاہ کرنا فرمانی تہٕ مُخالفت بیہ ڈلِ تمِ حدہ مخالفت تہٕ نافرمانی کرنس اَندر كَانُوۡا لَا يَتَـنَاهَوۡنَ عَنۡ مُّنۡكَرٍ فَعَلُوۡهُ تم آسِ نہ بازیوان تہٕ پتھ رُوزان تموٕ پچھہ کامیو نشہٕ یمہٕ پچھ کامہٕ تم کران آسِ یعنی استمرار تہٕ ڈاڈ آسِ کران تمنِ پچھہ کامین پیٹھ لَبِئۡسَ مَا كَانُوۡا يَفۡعَلُوۡنَ واقعی سیٹھاہ

تَرٰى كَثِيْرًا مِّنْهُمْ يَتَوَلَّوْنَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ۭ لَبِئْسَ مَا قَدَّمَتْ لَهُمْ اَنْفُسُهُمْ اَنْ سَخِطَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ وَفِي الْعَذَابِ هُمْ خٰلِدُوْنَ ﴿٨٠﴾ وَلَوْ كَانُوْا يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالنَّبِيِّ وَمَآ اُنْزِلَ اِلَيْهِ مَا اتَّخَذُوْهُمْ اَوْلِيَاۗءَ وَلٰكِنَّ كَثِيْرًا مِّنْهُمْ فٰسِقُوْنَ ﴿٨١﴾ لَتَجِدَنَّ اَشَدَّ النَّاسِ عَدَاوَةً لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوا الْيَهُوْدَ وَالَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا ۚ وَلَتَجِدَنَّ اَقْرَبَهُمْ مَّوَدَّةً لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوا الَّذِيْنَ قَالُوْٓا اِنَّا نَصٰرٰى ۭ ذٰلِكَ بِاَنَّ

---

پتھہ اُوس تہٕ یہ تم کران آس تَرٰى كَثِيْرًا مِّنْهُمْ يَتَوَلَّوْنَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وچھو کھ تہٕ واریاہ تمو یہود و اندرہ تم دُوستی چھہٕ لاگان مُشرِک یہودن سیت لَبِئْسَ مَا قَدَّمَتْ لَهُمْ اَنْفُسُهُمْ البتہ سیٹھاہ پتھہ چھُو تہٕ یہ یہند یو نفسو تمن بُرونٹھہ کنہٕ تروو۔ تمیُک نتیجہ چھُو سیٹھاہ خراب اَنْ سَخِطَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ وَفِي الْعَذَابِ هُمْ خٰلِدُوْنَ دنیاءس منز گو تمیُوک نتیجہ کہٕ اللہ تعالیٰ چھُو تمن پیٹھہ بیزار۔ آخرتس اَندر آسن تم ہمیشہ گرفتارِ عذابِ نار وَلَوْ كَانُوْا يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالنَّبِيِّ وَمَآ اُنْزِلَ اِلَيْهِ مَا اتَّخَذُوْهُمْ اَوْلِيَاۗءَ ہرگاہ تمن پزِ پاٹھِ ایمان آسہا معبودِ برحق بیہ پنہٕ نِس پیغمبرس یعنی حضرتِ موسیٰ اَس، بیہ تتھ کتابہ یوسہٕ تمن کُن نازِل کرنہ آمژ آس یمکہ پیروی ہُند تمن دعویٰ چھُو تلہٕ بناوہَن نہ کافرن تہٕ مُشرکن پنٕنِ دُوست وَلٰكِنَّ كَثِيْرًا مِّنْهُمْ فٰسِقُوْنَ لیکن تمِو اَندرہ چھہٕ واریاہ فاسِق تہٕ بے ایمان۔ تمے چھہٕ کافرن سیت دُوستی لاگتھ اِسلامَس تہٕ پیغمبرِ اِسلامَس تہٕ خلاف سازِشہٕ کران لَتَجِدَنَّ اَشَدَّ النَّاسِ عَدَاوَةً لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوا الْيَهُوْدَ وَالَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا البتہ لبیُو کھ تہٕ سارِوی غیر مُسلمو اَندرہ باایمانن ہند سخت دُشمن اکھہٕ یہود بیہ مُشرِک وَلَتَجِدَنَّ اَقْرَبَهُمْ مَّوَدَّةً لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوا الَّذِيْنَ قَالُوْٓا اِنَّا نَصٰرٰى بیہ لبیُو کھ تہٕ سارِوی غیر مُسلمو اَندرہ یژ نزدیک باایمانن ہنزہ دُوستی تہٕ محبتس اَندر تم لُوکھ یم ونان چھہٕ اَسِ چھہٕ نصاریٰ

مِنْهُمْ قِسِّيْسِيْنَ وَرُهْبَانًا وَّاَنَّهُمْ لَا يَسْتَكْبِرُوْنَ ﴿۸۲﴾
وَاِذَا سَمِعُوْا مَآ اُنْزِلَ اِلَى الرَّسُوْلِ تَرٰٓى اَعْيُنَهُمْ
تَفِيْضُ مِنَ الدَّمْعِ مِمَّا عَرَفُوْا مِنَ الْحَقِّ ۚ يَقُوْلُوْنَ رَبَّنَآ اٰمَنَّا
فَاكْتُبْنَا مَعَ الشّٰهِدِيْنَ ﴿۸۳﴾ وَمَا لَنَا لَا نُؤْمِنُ بِاللّٰهِ وَمَا جَآءَنَا مِنَ
الْحَقِّ ۙ وَنَطْمَعُ اَنْ يُّدْخِلَنَا رَبُّنَا مَعَ الْقَوْمِ الصّٰلِحِيْنَ ﴿۸۴﴾
فَاَثَابَهُمُ اللّٰهُ بِمَا قَالُوْا جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ
فِيْهَا ۚ وَذٰلِكَ جَزَآءُ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۸۵﴾ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَكَذَّبُوْا

---

ذٰلِكَ بِاَنَّ مِنْهُمْ قِسِّيْسِيْنَ وَرُهْبَانًا وَّاَنَّهُمْ لَا يَسْتَكْبِرُوْنَ اِي مُوکھه که تمن منز ڇهِ واریاه عالِم ته زاهد تارکِ دُنیا بیهِ ڇهنهِ تم مغرور ته مُتکبّر۔ وَاِذَا سَمِعُوْا مَآ اُنْزِلَ اِلَى الرَّسُوْلِ تَرٰٓى اَعْيُنَهُمْ تَفِيْضُ مِنَ الدَّمْعِ مِمَّا عَرَفُوْا مِنَ الْحَقِّ تمو عیسائیو اندره بعضی یلهِ تم بُوزان ڇهِ سُو کلام پاک یُس نازِل آو کرنه پیغمبر برحقس پیٹھ یعنی قرآنِ مجید وُڇهان ڇهِوه توهه که تهنز ه اڇهه ڇهِ اُوش هاران کیازِه تمو پرزه نوو دِینِ حق اسلام بیهِ امهِ کلام پاکِ حقانیت يَقُوْلُوْنَ رَبَّنَآ اٰمَنَّا فَاكْتُبْنَا مَعَ الشّٰهِدِيْنَ وَنان ڇهِ تم ای سانهِ پروردگاره اسهِ کُر پژه اَتهه کلام پاکس۔ وون لیکھ اسیهِ ته امهِ کین گواهن سیت وَمَا لَنَا لَا نُؤْمِنُ بِاللّٰهِ اسه کیاه گو اس کیا انو نه ایمان شریعت محمدّیه موجب معبود برحقس وَمَا جَآءَنَا مِنَ الْحَقِّ بیهِ یُس پُوز اسهِ نشهِ ووت بواسطه حضرتِ محمّد صلی اللہ علیہ وسلّم۔ وَنَطْمَعُ اَنْ يُّدْخِلَنَا رَبُّنَا مَعَ الْقَوْمِ الصّٰلِحِيْنَ بیه کیازِه تهاوون اس اَڇِ اُمیدّ که اسهِ کیاو اتناوه پروردگار سون جنتس نیکو کاران هندِس جماعتس سیت فَاَثَابَهُمُ اللّٰهُ بِمَا قَالُوْا جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ۚ وَذٰلِكَ جَزَآءُ الْمُحْسِنِيْنَ پس کر اللہ تعالیٰ ان عطا تمن یهِ وننهِ بَرکته تهِ جنّت یمو منز جویه پکان ڇهَ۔ تمنی جنتن منز روزن تم همیشه۔ یهَے ڇهِ مزورِ نیکو کاران هنز۔ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَكَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَآ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ الْجَحِيْمِ اتهه بدل گے تم لُوکھ یمو

بِاٰيٰتِنَآ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ الْجَحِيْمِ ﴿٨٦﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا
تُحَرِّمُوْا طَيِّبٰتِ مَآ اَحَلَّ اللّٰهُ لَكُمْ وَلَا تَعْتَدُوْا ۭ اِنَّ اللّٰهَ لَا
يُحِبُّ الْمُعْتَدِيْنَ ﴿٨٧﴾ وَكُلُوْا مِمَّا رَزَقَكُمُ اللّٰهُ حَلٰلًا طَيِّبًا ۠ وَّ
اتَّقُوا اللّٰهَ الَّذِيْٓ اَنْتُمْ بِهٖ مُؤْمِنُوْنَ ﴿٨٨﴾ لَا يُؤَاخِذُكُمُ اللّٰهُ

---

انکار کور بیہِ زانک اپزسان آیات تہٕ احکام تمی لُکھہ گئے جنھمی ہمیشہ نارس اندر رزہ وُنِ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تُحَرِّمُوْا طَيِّبٰتِ مَآ اَحَلَّ اللّٰهُ لَكُمْ اے بااِیمانو حرام مہ کرِو پانس پیٹھ تم پاک تہٕ لذیذ چیز، قسم ہاوت یا عہد کرِتھ۔ یم حلال کرِتھہِندِہ خیطرہ اللہ تعالیٰ اَن ادہ تم کھینکِ چیز آستن، چینکِ چیز آستن، لِباس آستن یا منکوحات آستن وَلَا تَعْتَدُوْا اِنَّ اللّٰهَ لَا يُحِبُّ الْمُعْتَدِيْنَ تحلیل و تحریمس متعلق یم حدود مقرر کرنہ آمت چھہِ تموِ حدو نشہِ مہ ڈلو پزِ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُنہ پسند کران حدہ نشہِ ڈلہ وِنین وَكُلُوْا مِمَّا رَزَقَكُمُ اللّٰهُ حَلٰلًا طَيِّبًا بیہِ کھیٖو تموِ چیز وِ اُندرہ یم چیز عطا کرِ توہہِ اللہ تعالیٰ اَن حلال تہٕ پاک وَّاتَّقُوا اللّٰهَ الَّذِيْٓ اَنْتُمْ بِهٖ مُؤْمِنُوْنَ بیہِ کھوژِو تس خدایس یس توہہِ پزھ کرِمژ چھُوہ یعنی کانہہ حلال چیز اہ حرام کرُن اتھہ چھُو بیزار اللہ تعالیٰ۔ لہٰذا کھُو ژِو تھنزِہ بیزاری۔ حلال چیزس حرام کرن اَتھہ چھہ ترِیہ قسمِ۔ اکھ گو اعتقادہ کِن۔ بیاکھ گو زیوِہ سیت، بیاکھ گو عملہِ سیت۔ اعتقاداً کانہہ حلال چیز اہ حرام زانُن یہِ چھُو کُفر۔ زیوِہ سیت وُنُن کُنہ حلال چیزس یہِ چھُومہِ پیٹھ حرام، ہر گاہ یہِ قسم ہاوتھہ وونُن یہِ چھُو گناہ۔ سُو قسم گرِژھہِ پُھٹرُن۔ تمہِ قسمچ گرِژھہِ کفارت دِنِ تہٕ سُو چیز گرِژھہِ ضرور کھیون۔ ترِیُم قسمِ گو عملاً کانہہِ چیز اہ تراوُن یہِ چھ بدعت۔ یہِ گئیہ رہبانیت۔ امیُک چھُنہ اسلامَن اِجازت دِیتمُت۔ امہِ نشہِ گرِژھہ پتھہ روزُن۔ ہر گاہ کانسہ کانہہ حلال چیز آسہِ ترک کورمُت کُنہِ مصلحتِ جسمی یا نفسی خیطرہ بطورِ علاج تتھہ چھہُ نہ کانہہ قصور مگر ہر گاہ کانسہ آسہِ ترٕ وومُت کانسہِ بزرگہ سُند قربُ، نزدیکی تہٕ رضامندی حاصِل کرنہ خیطرہ تہٕ چھُو ناجائز تہٕ شرِک۔ کیازِہ قربُ ورضامندی گرِژھہِ کُنہِ عملہِ سیت کانسہِ اکسِنز ژھانڈُن خدایس ورای تم چھہُ ترکِ اکل و شراب مقرر کورمُت پنہِ خیطرہ اکھ عبادت۔ یہِ تَس ورای بیہِ کانسہِ ہندِہ خیطرہ کرن یوٚہے گو شرِک، نعوذ باللہِ مِن ذالِک لَا يُؤَاخِذُكُمُ اللّٰهُ بِاللَّغْوِ فِيْٓ اَيْمَانِكُمْ اللہ تعالیٰ چھُنہ توہہ باز خواست

بِاللَّغْوِ فِيٓ اَيْمَانِكُمْ وَلٰكِنْ يُّؤَاخِذُكُمْ بِمَا عَقَّدْتُّمُ الْاَيْمَانَ ۚ فَكَفَّارَتُهٗٓ اِطْعَامُ عَشَرَةِ مَسٰكِيْنَ مِنْ اَوْسَطِ مَا تُطْعِمُوْنَ اَهْلِيْكُمْ اَوْ كِسْوَتُهُمْ اَوْ تَحْرِيْرُ رَقَبَةٍ ۭ فَمَنْ لَّمْ يَجِدْ فَصِيَامُ ثَلٰثَةِ اَيَّامٍ ۭ ذٰلِكَ كَفَّارَةُ اَيْمَانِكُمْ اِذَا حَلَفْتُمْ ۭ وَاحْفَظُوْٓا اَيْمَانَكُمْ ۭ كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اٰيٰتِهٖ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ﴿٨٩﴾

---

كران لغو ته بي هوده قسم هاونس پيٺھ۔ لغو قسم گو سوي ئيس بغير اراده زبو منزه نيره۔ وَلٰكِنْ يُّؤَاخِذُكُمْ بِمَا عَقَّدْتُّمُ الْاَيْمَانَ مگر باز خواست چھو كران توهه ضرور تمن قسمن پيٺھ تم توهه اراده كرِتھ مضبوط كرمت چھوه هر گاه تم قسم تُهه پُھٹر اون آسن تِيچ گژهه كفارت دِن۔ فَكَفَّارَتُهٗٓ اِطْعَامُ عَشَرَةِ مَسٰكِيْنَ مِنْ اَوْسَطِ مَا تُطْعِمُوْنَ اَهْلِيْكُمْ اَوْ كِسْوَتُهُمْ اَوْ تَحْرِيْرُ رَقَبَةٍ فَمَنْ لَّمْ يَجِدْ فَصِيَامُ ثَلٰثَةِ اَيَّامٍ تمه قسمچ كفارت چھه كه ده مسكين غذا كھياون، درمياني غذا۔ ئيس روزمره تُهه پنن عيال كھياوان چھون۔ يا دهن مسكين پوشاك دِين، ياغلام آزاد كرن۔ ئيس اكس نه يه بنه ته ميسّر سپده سو روزن ترين دوهن پوتس پتھه روزه دار ذٰلِكَ كَفَّارَةُ اَيْمَانِكُمْ اِذَا حَلَفْتُمْ يه چھه كفارت تهنديٖن قسمن هنز۔ يله تُهه كُنه چيز س پيٺھ قسم هاوان ته پته پُھٹر اوان آسو وَاحْفَظُوْٓا اَيْمَانَكُمْ چونكه يه كفارت دِن چھه واجب لهذا آسو راپچھه كران قسمن پنه نين قسم كرِتھ گژهه نه پُھٹرن پيون۔ پُھٹر اووٖ بيه تِيچ كفارت ضرور دِن۔ يُتھنه اِڈھ كتھاه كرِوكه قسم پُھٹرِتھ آسو نه كفارت تِيچ دِوان ته چھو سخت گناه مگر افسوس لوكن چھو نه اميك كانهه خيالاه۔ كانهه شخص كانسه نِشه گژهان۔ سو چھوس كانهه چيز كھينه يا چينه خيطره ونان۔ يه چھو قسم هاوِتھ وپان بو كھيمه نه يا چيمه نه سو چيز۔ تو پته چھوس سو اصرار كران زور كران كھينه خيطره۔ اتي چھو سو چيز كھيوان يا چيوان۔ پُھٹر اوان چھو سو قسم ئيس هووُمت اوسن۔ تو پته چھو نه تمه قسمچ كفارت دِوان۔ لهذا يله كانسه شخصن كانهه چيز كھينس يا چينس پيٺھه قسم هووادِه گژهه نه تمس زور كرن سوِ چيز كھينه خيطره كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اٰيٰتِهٖ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ تِتھے پاٹھه چھو الله تعالىٰ ويژهناوان حكم پنن يُو تھه تُهه

يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِنَّمَا الْخَمْرُ وَالْمَيْسِرُ وَالْاَنْصَابُ وَالْاَزْلَامُ رِجْسٌ مِّنْ عَمَلِ الشَّيْطٰنِ فَاجْتَنِبُوْهُ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ ۝٩٠ اِنَّمَا يُرِيْدُ الشَّيْطٰنُ اَنْ يُّوْقِعَ بَيْنَكُمُ الْعَدَاوَةَ وَالْبَغْضَآءَ فِي الْخَمْرِ وَالْمَيْسِرِ وَيَصُدَّكُمْ عَنْ ذِكْرِ اللّٰهِ وَعَنِ الصَّلٰوةِ ۚ فَهَلْ اَنْتُمْ مُّنْتَهُوْنَ ۝٩١ وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَاَطِيْعُوا الرَّسُوْلَ وَاحْذَرُوْا ۚ فَاِنْ تَوَلَّيْتُمْ فَاعْلَمُوْٓا اَنَّمَا عَلٰى رَسُوْلِنَا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ ۝٩٢ لَيْسَ عَلَى الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا

---

امہِ نعمتک شکر دیو۔ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِنَّمَا الْخَمْرُ وَالْمَيْسِرُ وَالْاَنْصَابُ وَالْاَزْلَامُ رِجْسٌ مِّنْ عَمَلِ الشَّيْطٰنِ فَاجْتَنِبُوْهُ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ اَیِ بااِسمانو شراب زار پُتل تہ چیر ین ہندِ تیر تِم چھنہ مگر گندہ تہ ناپاک کامہِ شیطانہ سنزِ و کامیو اندرہ۔ تِمو سارِوی کامیو نشہِ رُوزِو پتھہ۔ یُتھہ تُہہ کامیاب سپدِو تِمن چیزن ہندیو مضر تو نشہِ بچِو۔ تِیمن چیزن ہنز بڈ مضرت چھہ کہِ۔ اِنَّمَا يُرِيْدُ الشَّيْطٰنُ اَنْ يُّوْقِعَ بَيْنَكُمُ الْعَدَاوَةَ وَالْبَغْضَآءَ فِي الْخَمْرِ وَالْمَيْسِرِ شیطان چھونہ یِژھان مگر ای زِہ توہہِ اندر تراوِہ پانہ وانِ عداوت تہ بُغض دِلن اندر شرابہ تہ زارہ کہِ ذریعہ وَيَصُدَّكُمْ عَنْ ذِكْرِ اللّٰهِ وَعَنِ الصَّلٰوةِ بیہِ چھُو شیطان یِژھان توہہِ رٹہِ پتھہ شرابہ تہ زارکہِ ذریعہ خدایہِ سندِہ یادہ نشہِ بیہِ نمازہِ نشہِ یُس خدایہِ سُند یاد کرنکیو طریقو اندرہ بہتر تہ افضل طریق چھہ یِژھ خرابی تہ نقصان تِمنِ چیزن منز آستھہ فَهَلْ اَنْتُمْ مُّنْتَهُوْنَ کیاہ یہِ بُوزِتھ رُوزِو ناتُہہ امہِ نشہِ پتھہ۔ یہ آیہ کریمہ بُوزِتھ وون صحابہ صیبو اِنْتَهَيْنَا یعنی اَس رُودِ پتھہ۔ یَس اکس نشہِ امہِ وقتہ کینہہ شراب موجود اوس تِم دیُت سُو برتھہ تہ چھکتھ وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَاَطِيْعُوا الرَّسُوْلَ وَاحْذَرُوْا فَاِنْ تَوَلَّيْتُمْ فَاعْلَمُوْٓا اَنَّمَا عَلٰى رَسُوْلِنَا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ بیہِ کرِو فرمانبر دارِی خدا بیہِ فرمانبر داری رسولِ خدا پریتھہ حُکمس اندر۔ یِہنزِہ نافرمانی نشہِ رُوزِو پتھہ۔ پَس ہر گاہ تُہہ پُوت پھرِو حُکم مانونہ پَس زانِو تُہہ وارہ پاٹھِ کہِ سانس پیغمبرس چھو نہ مٹہِ مگر نِ پاٹھِ بوضاحت حُکم واتناوُن تعمیل کرن یانہ کرُن یہ چھہ تُہنز کوم۔ تمیُک نتیجہ تُلِو تُہہ پانے۔ یلہِ یہِ آئیہ کریمہ نازِل سپُد بعضی لُوکو کور عرض دَرخدمتِ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلّم کہ یارسول اللہ واریاہ

الصّٰلِحٰتِ جُنَاحٌ فِيْمَا طَعِمُوْٓا اِذَا مَا اتَّقَوْا وَّاٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ
ثُمَّ اتَّقَوْا وَّاٰمَنُوْا ثُمَّ اتَّقَوْا وَّاَحْسَنُوْا ۭ وَاللّٰهُ يُحِبُّ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿٩٣﴾ يٰٓاَيُّهَا
الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَيَبْلُوَنَّكُمُ اللّٰهُ بِشَيْءٍ مِّنَ الصَّيْدِ تَنَالُهٗٓ اَيْدِيْكُمْ وَ
رِمَاحُكُمْ لِيَعْلَمَ اللّٰهُ مَنْ يَّخَافُهٗ بِالْغَيْبِ ۚ فَمَنِ اعْتَدٰى بَعْدَ
ذٰلِكَ فَلَهٗ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿٩٤﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَقْتُلُوا الصَّيْدَ وَاَنْتُمْ

---

لُوک یِم شراب چیوان آسِ زارِگندان آسِ تِم حض گئے یِمہِ عالمہ یِم چیز حرام سپدنہ بُرونٹھ۔ تِہند حال کیا حض آسہِ اتی سپُد یِمہِ آیہ کریمہ نازِل لَيْسَ عَلَى الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ جُنَاحٌ چھُنہ تِمن لُوکن پیٹھہ یِمو ایمان اُون تہ رٔژہ عملہ کریکھ کانہہ گناہ فِيْمَا طَعِمُوْٓا تتھہ منزٕ یہِ تِموٚ چوٚ شرابہ اَندرٕ یا کھیو زارہ سیت زِینتہِ مالہ اَندرٕ حرام سپدٕنہ برونٹھہ۔ اِذَا مَا اتَّقَوْا وَّاٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ یلہِ تِموٚ لُوکو تِموٚ چیزٕ و نِشہِ پرہیز کور یِم تِمہ وَقتہ ناجائز آسِ۔ بیہِ اُونکھ ایمان تہ بیہِ کریکھ رٔژہ عملہ ثُمَّ اتَّقَوْا وَّاٰمَنُوْا ثُمَّ اتَّقَوْا وَّاَحْسَنُوْا تو پتہ رُودِ پرہیز گاری پیٹھ ایمانس پیٹھہ ثابت تو پتہ کورُکھ بیہِ تِمہِ وقتہ کیو حرام چیز و نِشہِ پرہیز بیہِ کریکھ رٔژہ عملہ وَاللّٰهُ يُحِبُّ الْمُحْسِنِيْنَ اللہ تعالیٰ چھُ دوست تھاوان اَمہِ قسمہ کیٚن نیکو کارن تہ رٔژہ عملہ کرہ وِنین يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَيَبْلُوَنَّكُمُ اللّٰهُ بِشَيْءٍ مِّنَ الصَّيْدِ تَنَالُهٗٓ اَيْدِيْكُمْ وَرِمَاحُكُمْ اَی با ایمانو البتہ اللہ تعالیٰ کرِہ توہہِ ضرور آزمایش شِکارکہِ کُنہِ قِسمہ سیت احرامکس حالتس اندر۔ سُوگوٚ سُوی شِکار یتھہ شکارس تُہندِ اتھہ پلَن۔ بیہِ تُہندِ نیزٕہ پلَن۔ یُس شکار تُہہِ باکل قریب تہ نزدیک آسہِ اتھہ پلہ ونہ سیت ہیکوٚن سُورٹِتھ یا نیزٕہ لاتھہِ ہیکیون سُوزخمی کٔرِتھ۔ یہِ آزمایش کرِہ اللہ تعالیٰ توہہِ یتھہ لِيَعْلَمَ اللّٰهُ مَنْ يَّخَافُهٗ بِالْغَيْبِ مطلب امتحانک تہ آزمایشہِ ہُند چھُ کہِ حالت اَحرامس منزٕ وحشی جانور شِکار کرُن کور تِم توہہِ پیٹھہ حرام۔ یِمیُک حُکم نِ پاٹھہِ برونٹھہ اوہ وُن چھُ۔ تِم وحشی جانور آسَن توہہِ برو نٹھکنِ پھران یتھ اللہ تعالیٰ نٔنر اوہ کہِ کُہہ چھُ کھوژان تس تُہندِ س عذابس وُچھنہ ورایِ فَمَنِ اعْتَدٰى بَعْدَ ذٰلِكَ فَلَهٗ عَذَابٌ اَلِيْمٌ پس یُس اکھاہ حدہ ڈلہِ یعنی عدُولِ حُکمی کرِہ۔ اَحرامکس حالتس اندر کرِہ شِکار تسندِہ خیطرٕہ چھُ آخر تس اندر عذاباہ

حُرُمٌ ؕ وَمَنْ قَتَلَهٗ مِنْكُمْ مُّتَعَمِّدًا فَجَزَآءٌ مِّثْلُ مَا قَتَلَ مِنَ النَّعَمِ
يَحْكُمُ بِهٖ ذَوَا عَدْلٍ مِّنْكُمْ هَدْيًا بٰلِغَ الْكَعْبَةِ اَوْ كَفَّارَةٌ طَعَامُ
مَسٰكِيْنَ اَوْ عَدْلُ ذٰلِكَ صِيَامًا لِّيَذُوْقَ وَبَالَ اَمْرِهٖ ؕ عَفَا اللّٰهُ
عَمَّا سَلَفَ ؕ وَمَنْ عَادَ فَيَنْتَقِمُ اللّٰهُ مِنْهُ ؕ وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ ذُو انْتِقَامٍ ﴿۹۵﴾
اُحِلَّ لَكُمْ صَيْدُ الْبَحْرِ وَطَعَامُهٗ مَتَاعًا لَّكُمْ وَلِلسَّيَّارَةِ ۚ وَحُرِّمَ

---

دگ تُلہٕ وُن يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَقْتُلُوا الصَّيْدَ وَاَنْتُمْ حُرُمٌ اَی بااِیمانو مہ ماریون شِکار اِحرامکس حالتس اندر ادہ احرام حج کرنہ خیطرٕ آستنو گونڈِمُت یا عُمرٕ کرنہ خیطرٕ۔ یِتھے پاٹھِ یلہِ سُو جانور آسہِ حرم شریفس منز ادے شِکار کرہٕ وُن اِحرامَس منز آسہِ تتھ تہِ چھُو یوٗ ہے حُکم یعنی حرم شریفکِ جانور گژھہِ نہ رٹُن نہ زخمی کرُن وَمَنْ قَتَلَهٗ مِنْكُمْ مُّتَعَمِّدًا فَجَزَآءٌ مِّثْلُ مَا قَتَلَ مِنَ النَّعَمِ یُس اَکھاہ مارہٕ شِکارَس زانِتھ کرِتھ عمداً اُمِس چھُو تَس واجب تمیُک بَدَل دیُن تَس جانورس ہیُو یُس مورُن چارپاوٕ اَندرٕ اَکھ جانور لہٕ۔ تہٕ گو مثلاً ہر گاہ شُترمُرغ مورُن تَس بَدَل گژھہِ وُونٹ قربان کرُن۔ ہر گاہ گور خر مورُن تتھ بَدَل گژھہِ گاو مارنِ۔ ہر گاہ رُوس کٔنٹ مارن تَس بَدَل گژھہِ کٔٹھ مارُن يَحْكُمُ بِهٖ ذَوَا عَدْلٍ مِّنْكُمْ تمیُک فیصلہ کرن توہہِ مُسلمانو اَندرٕ زٕہ شخص عدل وانصاف کرہٕ وِن هَدْيًا بٰلِغَ الْكَعْبَةِ یُس جانور قربان ییہ کرنہ کٔعبہ شریف واتناوِتھ اَوْ كَفَّارَةٌ طَعَامُ مَسٰكِيْنَ نتہٕ ییہ اُمِس جانورٕ سندِس قیمتس برابر مسکینن غذا دِنہ اَوْ عَدْلُ ذٰلِكَ صِيَامًا نتہٕ ییہ تمِن مسکینن ہنزٕ گرنزٕ دوہَن روزہ دار روزنہ لِّيَذُوْقَ وَبَالَ اَمْرِهٖ یُتھ سُو مزہ ژہہِ پننہِ کامہِ ہندٕ سختی ہُندٕ تہٕ تِچھ انجامُک عَفَا اللّٰهُ عَمَّا سَلَفَ اللہ تعالیٰ اَکور عفو تتھ ییہِ از تام لوکو کوٗر وَمَنْ عَادَ فَيَنْتَقِمُ اللّٰهُ مِنْهُ یُس آیندہ دوٗبارٕ یُتھ جُرم کرِہ تَس ہیہِ اللہ تعالیٰ اِنتقام آخر تَس اندر وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ ذُو انْتِقَامٍ اللہ تعالیٰ چھُو غالِب اِنتقام ہینہ وٲل تَس یُس بار بار عدوُلِ حُکمی کرِہ اُحِلَّ لَكُمْ صَيْدُ الْبَحْرِ وَطَعَامُهٗ مَتَاعًا لَّكُمْ وَلِلسَّيَّارَةِ ای لُوکو حلال آئو کرنہ تُہندِ خیطرٕ دریائی شِکار کرِن۔ اُحرامَس منز آستو یلہِ آستو۔ دریائی کھینہ چیز وسیت تمتع تُلن چھُو توہِ بالکل حلال ییہِ سٲنی مسافرَن۔ وَحُرِّمَ عَلَيْكُمْ صَيْدُ الْبَرِّ مَا دُمْتُمْ حُرُمًا حرام آو کرنہ تُہندِ خیطرٕ خشکی

عَلَيْكُمْ صَيْدُ الْبَرِّ مَا دُمْتُمْ حُرُمًا ۗ وَاتَّقُوا اللّٰهَ الَّذِيْٓ اِلَيْهِ تُحْشَرُوْنَ ﴿۹۶﴾ جَعَلَ اللّٰهُ الْكَعْبَةَ الْبَيْتَ الْحَرَامَ قِيٰمًا لِّلنَّاسِ وَالشَّهْرَ الْحَرَامَ وَالْهَدْيَ وَالْقَلَآئِدَ ۗ ذٰلِكَ لِتَعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَاَنَّ اللّٰهَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ﴿۹۷﴾ اِعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ وَاَنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿۹۸﴾ ۗ مَا عَلَى الرَّسُوْلِ اِلَّا الْبَلٰغُ ۗ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا تُبْدُوْنَ

---

ہُند شِکار یُوتتانِ تُہہ حالتِ احرامَس منز آسِو۔ ہر گاہ بیاکھ شخص یُس نہ احرامَس منز آسہِ شِکار کرِہ تو پتہ دِیہ مُحرِمَس تس چھُو تہ کھیون جائیز تہ حلال وَاتَّقُوا اللّٰهَ الَّذِيْٓ اِلَيْهِ تُحْشَرُوْنَ بیہ کھوژِو تس خدایہ سُندِ ین حُکمن مُخالفت کرنس یمِس برونٹھہ کنہِ تُہہ ساری سمِتھ اکہ وٹہ واتناوَن ایو جَعَلَ اللّٰهُ الْكَعْبَةَ الْبَيْتَ الْحَرَامَ قِيٰمًا لِّلنَّاسِ اللہ تعالیٰ اَن کور خانہ کعبہ یُس واجبِ تعظیم گرہ چھُو لُوکن ہندِہ دِینی و دُوینوی کامیَن ہندِہ قائم تہ بَرپاروز نک باعِث وَالشَّهْرَ الْحَرَامَ بیہ کرِن تعظیمہ والِ ریتھہ تہِ اَمن وَاما نک باعِث وَالْهَدْيَ وَالْقَلَآئِدَ بیہ کٔر اللہ تعالیٰ اَن نذر و نیاز ک جانور یِم محض خدایہ سندِہ خیطرِہ چھِہ یِوان خانہ کعبَس کُن واتناونہ۔ بیہ تِمن جانورن ہندِ ہنز رہ یِم تِمن جانورن نالِ تراونہ یِوان چھِہ تِم تہ کٔرِن اَمن واما نک باعِث۔ ذٰلِكَ بیہ کور اللہ تعالیٰ اَن اَمی سببہ لِتَعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَاَنَّ اللّٰهَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ یُتھہ تُہہ وارہ زانِو بیشک اللہ تعالیٰ چھُو زانان تہِ سورُوی یہ آسمانَن تہ زمینَن اندر چھُو۔ بیہ یُتھہ تُہہ زانِو کہ اللہ تعالیٰ چھُو پریتھہ چیزَس پیٹھہ قدُرتہ وول اِعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ وَاَنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ زانِو کہ بیشک اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ عذاب کرہ وُن نافرمانن بیہ چھُو اللہ تعالیٰ مغفرت کرہ وُن رحم کرہ وُن فرمانبردارن مَا عَلَى الرَّسُوْلِ اِلَّا الْبَلٰغُ چھُو نہ تِمس سانس پیغمبرس مٔتہِ مگر پیغام واتہ ناوُن یُس تمِو واتنوو رتہِ طریقہ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا تُبْدُوْنَ وَمَا تَكْتُمُوْنَ اللہ تعالیٰ چھُو تہِ سورُوی زانان یہ تُہہ زیوِہ سیت تانو سیت نٔز اوان تہ ظاہر کران چھِوہ۔ بیہ یہ تُہہ دِلن منز

وَمَا تَكْتُمُوْنَ ﴿٩٩﴾ قُلْ لَّا يَسْتَوِي الْخَبِيْثُ وَالطَّيِّبُ وَلَوْ اَعْجَبَكَ كَثْرَةُ الْخَبِيْثِ ۚ فَاتَّقُوا اللّٰهَ يٰۤاُولِي الْاَلْبَابِ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ ﴿١٠٠﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَسْـَٔلُوْا عَنْ اَشْيَآءَ اِنْ تُبْدَ لَكُمْ تَسُؤْكُمْ ۚ وَاِنْ تَسْـَٔلُوْا عَنْهَا حِيْنَ يُنَزَّلُ الْقُرْاٰنُ تُبْدَ لَكُمْ ؕ عَفَا اللّٰهُ عَنْهَا ؕ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ حَلِيْمٌ ﴿١٠١﴾ قَدْ سَاَلَهَا قَوْمٌ

---

کھٹِت تھاوان پچھوہ۔ قُلْ لَّا يَسْتَوِي الْخَبِيْثُ وَالطَّيِّبُ فرماویُو کھ تُہہ یارسُول اللہ برابر پچھو نہ ناپاک تہِ پاک یعنی گُناہ تہِ اطاعِت۔ یاگُنھگار تہ فرمانبردار۔ بلکہ پچھو خبیث مرڈود، طیِّب پچھو مقبُول۔ عاقِل گوسُوی یُس پنُن پان مقبُول بناوِہ مرڈود بنہ نشہِ وَلَوْ اَعْجَبَكَ كَثْرَةُ الْخَبِيْثِ اگرچہ تعجُبس اَندر تراوِتنَے ژہ اَے مُخاطِب ناپاکچِ زیادتی توگُن مہ کرَزہ خیالی فَاتَّقُوا اللّٰهَ يٰۤاُولِي الْاَلْبَابِ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ بلکہِ کھو ژوتُہہ خدایہِ سندِس حُکمس مُخالفت کرنہ نشہِ اَی عقلہِ والیو یُتھہ تُہہ کامیاب تہ رستگار سپدیو حصُول جنّتہ سیت بیہ حصُولِ رضای اِلٰہی سیت۔ یلہِ حضرتِ رسولِ کریمو صلی اللہ علیہ و سلّم فرضیّت حج بیان فرماوتہ اَک شخصن پُرژھ تِمن کیا حض پریتھ وُریہ پچھاج کرُن فرض تریہِ پھِرِہ پُرژھن نبی کریم صلی اللہ علیہ و سلم تِموِ فرموُس نہ کہنہ جواب۔ توپتہ فرموُکھ ہر گاہ بُو فرماوہ ہاوُہ۔ تلہِ پیہ ہاتوہہِ پریتھہ وُریہ حج کرُن یُس نہ تُہہ کرِتھ ہیکہِ ہو۔ برونٹھِم لُوکھ گے تباہ زیادہ پرِژھہ پرِ ژھ کرنہ سیت۔ یوسہ کتھہ بُو فرماوان آسوہ تتھ پیٹھہ آسِو عمل کران۔ یُوسہ کتھہ نہ بُو فرماوان آسوہ تمیُک مہ آسِو پرژھان۔ اَتھہ مطابقِ سپُد آئیہ کریمہ نازِل يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَسْـَٔلُوْا عَنْ اَشْيَآءَ اِنْ تُبْدَ لَكُمْ تَسُؤْكُمْ اَی بااِیمانو فضول کتھہ غیر ضروری مُعاملن مُتعلق مہ آسِو پرژھان یِمن مُتعلق احتمال پچھو کہِ ہر گاہ بیان ییہ کرنہ توہہِ سپدہ تہِ بوزُن ناگوار وَاِنْ تَسْـَٔلُوْا عَنْهَا حِيْنَ يُنَزَّلُ الْقُرْاٰنُ تُبْدَ لَكُمْ بیہِ ہر گاہ پرِژھو تُہہ تمہِ وقتہ یلہِ قرآنِ مجید نازِل سپدان آسہِ توہیہِ ییہِ پورہ تچِ وضاحت کرنہ توپتہ ہیکِو نہ تُہہ کوم پورُہ انجام اَنِتھہ عَفَا اللّٰهُ عَنْهَا اللہ تعالی ان کور توہہِ عفُو فضول سُوال کرنِ ازتام مگر آیندہ کرِو احتیاط وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ حَلِيْمٌ اللہ تعالی پچھو

مِّنْ قَبْلِكُمْ ثُمَّ اَصْبَحُوْا بِهَا كٰفِرِيْنَ ﴿١٠٢﴾ مَا جَعَلَ اللّٰهُ مِنْۢ بَحِيْرَةٍ وَّلَا سَآئِبَةٍ وَّلَا وَصِيْلَةٍ وَّلَا حَامٍ ۙ وَّلٰكِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا يَفْتَرُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ ؕ وَاَكْثَرُهُمْ لَا يَعْقِلُوْنَ ﴿١٠٣﴾ وَاِذَا قِيْلَ لَهُمْ تَعَالَوْا اِلٰى مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ وَاِلَى الرَّسُوْلِ قَالُوْا

---

سيٹھاهه مغفرت ڪرهڙن سيٹھاهه حليم تہِ ڇھو سو ڀُتھنہ توہہِ حُڪم عدولي پيٹھہ عذاب تہ باز خواست نہ ڪرنہ سيت دھوڪہ لگہِ ڪہِ اسہ آونہ خلاف ورزي پيٹھ باز خواست ڪرنہ۔ قَدْ سَاَلَهَا قَوْمٌ مِّنْ قَبْلِكُمْ پز پاٹِ ٻڙھے ڪتھہ پرڑھہ تموُلُوڪو تم توہہِ ٻُونٹھ آسِ پنہ نين پيغمبرن، توپتہ يلہِ تمن ڪتھن ہند جواب دِنہ آو تموُڪرنہ تتھہِ پيٹھہ عمل۔ ڀُتھنہ تُھہ تہِ سوي نوبت پيش ايہِ۔ لہذا ڇھو بہتر سوالے مہ آسو ڪران ثُمَّ اَصْبَحُوْا بِهَا كٰفِرِيْنَ پتولاڪہ سپدِ تم تمن چيزن منڪر۔ ڪافرِن ہُندرسم اوس ڪہ حيواناتن تہ حيواناتن ہند ين بچن آس معبودانِ باطلن ہندہ ناوہ نياز تھاوان۔ توپتہ آسِ تہند ين ڪنن ترتھہ دوان نشانہ تھاونہ خيطرہ تس آسِ ونان۔ بحيرہ۔ بعضي جانورن آسِ پوتيلن ہندِہ ناوہ تھاوان۔ ڪامہِ نِشہِ آزاد تھاوان۔ يتھہ پاٹھہِ ازِڪ ڪافرِ ڇھہِ درم داند تھاوان۔ تس آسِ ونان سائبہ۔ بعضي ڪافر آسِ ماجہِ ہندِس شڪمسِي اندر آستھہ بچس متعلق ونان ڪہ ہر گاہ يہِ نرآسہِ تلہِ ڪرون فلان پوتلہِ سندہ خيطرہ ذبح ہر گاہ مادہ آسہِ تلہِ تھاوون رچھنہ خيطرہ پانس ڪيت۔ امِس آسِ ونان وصيلہ۔ يِس وونٹہِ دہ بچہ آسہن پيدہ سپدِ مت تس آسِ سواري نِشہِ، بور تُلنہ نِشہِ الگ تھاوان۔ امِس آسِ حامي ونان۔ تِمنِي چيزن آسِ خدايہِ سُند حُڪم زانان۔ اتھہ سارسي ڇھوُ اللّٰہ تعاليٰ ردّ ڪران۔ مَا جَعَلَ اللّٰهُ مِنْۢ بَحِيْرَةٍ وَّلَا سَآئِبَةٍ وَّلَا وَصِيْلَةٍ وَّلَا حَامٍ ڪُرنہ اللّٰہ تعاليٰ اَن مقرّر ڪانہہ بحيرہ نہ سائبہ نہ ڪانہہ وصيلہ نہ ڪانہہ حامہ وَّلٰكِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا يَفْتَرُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ وَاَكْثَرُهُمْ لَا يَعْقِلُوْنَ ليڪن ڪافرِ ڇھہِ پانے تم اپزرسوم ٹھہراوان۔ خدايس ڪن منسوب ڪران۔ اڪثر ڇھہِ تموَ ڪافرو اندرہ بے عقل۔ وَاِذَا قِيْلَ لَهُمْ تَعَالَوْا اِلٰى مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ وَاِلَى الرَّسُوْلِ يلہِ تمن ونہ يِوان ڇھوُ ايوِ رجوع ڪرِو تمِن ارشاداتن ڪُن تِم اللّٰہ تعاليٰ اَن نازِل ڪريہِ تہندِس پيغمبرس ڪُن۔ تمن پيٹھہ تمِ احڪام

حَسْبُنَا مَا وَجَدْنَا عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا ؕ اَوَلَوْ كَانَ اٰبَآؤُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ
شَيْـًٔا وَّلَا يَهْتَدُوْنَ ﴿١٠٤﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا عَلَيْكُمْ اَنْفُسَكُمْ ۚ لَا
يَضُرُّكُمْ مَّنْ ضَلَّ اِذَا اهْتَدَيْتُمْ ؕ اِلَى اللّٰهِ مَرْجِعُكُمْ جَمِيْعًا فَيُنَبِّئُكُمْ
بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿١٠٥﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا شَهَادَةُ بَيْنِكُمْ اِذَا
حَضَرَ اَحَدَكُمُ الْمَوْتُ حِيْنَ الْوَصِيَّةِ اثْنٰنِ ذَوَا عَدْلٍ مِّنْكُمْ
اَوْ اٰخَرٰنِ مِنْ غَيْرِكُمْ اِنْ اَنْتُمْ ضَرَبْتُمْ فِى الْاَرْضِ فَاَصَابَتْكُمْ

---

وارشادات نازل کرنہٕ آی۔ قَالُوْا حَسْبُنَا مَا وَجَدْنَا عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا تتھ چھہِ جواب دِنان اَسہِ چھُو کافی تی یہِ اَسہِ وُچھہِ پننِ مالِ تہٕ بڑِبب کران اَوَلَوْ كَانَ اٰبَآؤُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ شَيْـًٔا وَّلَا يَهْتَدُوْنَ اللہ تعالیٰ چھُو فرمان کیاہ سُو طریقہ اوسہ تِمن پر یتھ حالس منز کافی۔ کیاہر گاہ تِہندِ مالِ بُڈبب کینہہ تہٕ زانان آسہن نہ نہ آسہن کُنہِ آسمانی کِتابہِ ہندِس ہدایتس پیٹھہ توتہٕ کرہنہ تُم تِہنزی پیروی يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا عَلَيْكُمْ اَنْفُسَكُمْ اَی بااِیمانو کٔرو پننہِ نسِ پانس اصلاح کرنٕچ فکرِ۔ اصل کٲم چھوَیہے توہہِ مَٹہِ۔ بیٚن اصلاح کرنس متعلق چھُو یہِ حُکم کہِ تہٕ پننہِ مقدُورہ تہٕ طاقتہ موجُب بیٚن اصلاح کرنٕچ کوشش کٔرِو مگر تِمن کانٛہہ اثر سپدہِ نہ تُہہ مہ کھیٚیِو تمیُک غم کہ تِمن کو نہ چھُو اثر سپدان لَا يَضُرُّكُمْ مَّنْ ضَلَّ اِذَا اهْتَدَيْتُمْ یُس شخص تُہندِ اصلاح کرنہ باوجُود گُمراہی پیٹھی روزِہ توہہِ چھُو نہ تمیُک کانٛہہ نقصان تہٕ ضرر۔ یلہِ تُہہ پانہ پُور ہدایتس پیٹھہ آسِو اِلَى اللّٰهِ مَرْجِعُكُمْ جَمِيْعًا فَيُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ خدایہِ سِی کُن چھُو تُہہِ سارنی رجُوع کرُن۔ پَس گرِہ دہ سُو توہہِ خبر تِمہ سارِی چیہِ تُہہِ کران آسِوہ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا اَی بااِیمانو شَهَادَةُ بَيْنِكُمْ اِذَا حَضَرَ اَحَدَكُمُ الْمَوْتُ تِہندین باہمی معاملاتن اَندر مثلاً وارثن کُن مال سُپرد کرنہ خیٖطرہ گژھن آسن زی شخص۔ وصی یلہ توہہِ اندرہ کانٛسہِ مرنُک وقت واتان آسہِ۔ حِيْنَ الْوَصِيَّةِ اثْنٰنِ ذَوَا عَدْلٍ مِّنْكُمْ اَوْ اٰخَرٰنِ مِنْ غَيْرِكُمْ تِمہ ساتہ وارثن کُن مال سُپرد کرنہ وصیّت تہٕ کرنہ خیٖطرہ گژھن زٕہ شخص مُسلمان دِیندار آسن یِم وصی بناونہ یِن۔ یازٕہ شخص غیر مُسلم ہرگاہ نٔے زٕہ مُسلمان مُیسّر سپدن اِنْ اَنْتُمْ ضَرَبْتُمْ فِى الْاَرْضِ فَاَصَابَتْكُمْ مُّصِيْبَةُ

مُّصِيبَةُ الْمَوْتِ ۚ تَحْبِسُونَهُمَا مِن بَعْدِ الصَّلَاةِ فَيُقْسِمَانِ بِاللَّهِ
إِنِ ارْتَبْتُمْ لَا نَشْتَرِي بِهِ ثَمَنًا وَلَوْ كَانَ ذَا قُرْبَىٰ ۙ وَلَا نَكْتُمُ
شَهَادَةَ اللَّهِ إِنَّا إِذًا لَّمِنَ الْآثِمِينَ ﴿١٠٦﴾ فَإِنْ عُثِرَ عَلَىٰ أَنَّهُمَا اسْتَحَقَّا
إِثْمًا فَآخَرَانِ يَقُومَانِ مَقَامَهُمَا مِنَ الَّذِينَ اسْتَحَقَّ عَلَيْهِمُ
الْأَوْلَيَانِ فَيُقْسِمَانِ بِاللَّهِ لَشَهَادَتُنَا أَحَقُّ مِن شَهَادَتِهِمَا وَ
مَا اعْتَدَيْنَا إِنَّا إِذًا لَّمِنَ الظَّالِمِينَ ﴿١٠٧﴾ ذَٰلِكَ أَدْنَىٰ أَن يَأْتُوا

---

الْمَوْتِ هر گاه تو ہہ سفر س منز آ ستھ مر نک وقت واتہِ تَحْبِسُونَهُمَا مِن بَعْدِ الصَّلَاةِ تُہند گرِ ھن تمِ زٕ گواہ رٕٹن ادائے شہادتہٕ خیطرٕ نماز پرِ تھ۔ آسنے زٕ مُسلمان بہتر چھُو دِگر نماز پرِ تھ۔ آسنے غیر مُسلم تلہٕ یُوسہ تمن پننہِ طُورٕ کانہہ نماز اہ عباد تھاہ مُقرر آسیہِ سو عبادت کرِ تھ لُوکن تھی فَيُقْسِمَانِ بِاللَّهِ إِنِ ارْتَبْتُمْ پَس ہاوِن تمِ زٕ قسم خدایہِ سُند ہر گاہ تمن مُتعلق تو ہہ شک آسہِ۔ لَا نَشْتَرِي بِهِ ثَمَنًا وَلَوْ كَانَ ذَا قُرْبَىٰ قسم ہاوِن تمِ یتھہِ کتھہِ پیٹھ کہ اَسِ کرُونہ حاصِل یمہ قسمہ سیت کانہہ فائدہ یعنی میّت سندِ مالکہِ طمعہ مُوکھ کرِو نہ اَسِ اَپزٕ قسم اَدٕ آستن اَسہِ آشناپُنن رِشتہ دار پُنن کانسہِ ہُند رِعایت کرونہ اَسِ وَلَا نَكْتُمُ شَهَادَةَ اللَّهِ پروردگارٕ سِندِ طرفہٕ یُوسہ کتھ ونہ نک حُکم چھُو سو کتھہ تھاوُونہ اَسِ کھٹِتِ إِنَّا إِذًا لَّمِنَ الْآثِمِينَ ہر گاہ اَسِ یِتھہ کتھہ کرِو بیشک اَسِ چھہِ تلہِ گُنھگارو تہٕ مُجرِم اُندرٕ فَإِنْ عُثِرَ عَلَىٰ أَنَّهُمَا اسْتَحَقَّا إِثْمًا پَس ہر گاہ کُنہِ طریقہ معلُوم سپدِ کہِ یمو دویو گواہو اکو رپُنن حق ثابُت گُنہہ سیت یعنی خیانت کرِ تھ ہووُکھ قسم اپزٕ فَآخَرَانِ يَقُومَانِ مَقَامَهُمَا پَس بدَل زٕ گواہ سپدن قائم ہُمن دون گواہن ہنزِ جایہِ مِنَ الَّذِينَ اسْتَحَقَّ عَلَيْهِمُ الْأَوْلَيَانِ تہندِ طرفہٕ یُہند حق ضایع کرنہٕ آو تِم زٕ نوگواہ آسن تمِ ہند نزدیک رِشتہ دار فَيُقْسِمَانِ بِاللَّهِ پَس خدائِ سُند قسم ہاوِ تھ وَنِن تمِ زٕ گواہ لَشَهَادَتُنَا أَحَقُّ مِن شَهَادَتِهِمَا سان گواہی چھہٕ زیادٕ دُرست برو نٹھمین گواہن ہندِ خوتہٕ وَمَا اعْتَدَيْنَا اَسہِ کُنہِ قسمہٕ زیادتی کرنہ اسِ حدٕ ڈلِنہ ہر گاہ اَسِ حدٕ ڈلمتِ آسو إِنَّا إِذًا لَّمِنَ الظَّالِمِينَ تلہِ چھہِ اسِ ضرور ظالِمو اُندرٕ ذَٰلِكَ أَدْنَىٰ أَن يَأْتُوا بِالشَّهَادَةِ عَلَىٰ وَجْهِهَا

بِالشَّهَادَةِ عَلَىٰ وَجْهِهَا أَوْ يَخَافُوا أَن تُرَدَّ أَيْمَانٌ بَعْدَ أَيْمَانِهِمْ ۗ
وَاتَّقُوا اللَّهَ وَاسْمَعُوا ۗ وَاللَّهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْفَاسِقِينَ ﴿١٠٨﴾
يَوْمَ يَجْمَعُ اللَّهُ الرُّسُلَ فَيَقُولُ مَاذَا أُجِبْتُمْ ۖ قَالُوا لَا عِلْمَ
لَنَا ۖ إِنَّكَ أَنتَ عَلَّامُ الْغُيُوبِ ﴿١٠٩﴾ إِذْ قَالَ اللَّهُ يَا عِيسَى ابْنَ مَرْيَمَ
اذْكُرْ نِعْمَتِي عَلَيْكَ وَعَلَىٰ وَالِدَتِكَ إِذْ أَيَّدتُّكَ بِرُوحِ
الْقُدُسِ تُكَلِّمُ النَّاسَ فِي الْمَهْدِ وَكَهْلًا ۖ وَإِذْ عَلَّمْتُكَ الْكِتَابَ

---

یمہِ طریقہ قسموسیت چھوٗ زیادہ اُمید کہِ تمِ دِن گواہی جان پاٹھہِ۔ رتہِ طریقہ۔ أَوْ يَخَافُوا أَن تُرَدَّ أَيْمَانٌ بَعْدَ أَيْمَانِهِمْ یا کھوٗژن کم از کم یمہِ کتھہِ نِشہ کہِ ہر گاہ اُسِ پُوز پُوزوٗ نوٗنہ تلہِ ایہِ سانِ گواہی تہِ رد کرنہ ڈوٗیمہِ گواہی سیت۔ وَاتَّقُوا اللَّهَ وَاسْمَعُوا بیہِ کھوٗژِو اللہ تعالیٰ اس مُعاملات و حقوٗقن منز مہ آسِو اپُزوٗنان۔ بیہِ بُوزِو خدایہِ سندِ احکام توٗ پتہ مانِو۔ ہر گاہ مانِونہ تلہِ سپدِو فاسقِ تہِ نافرمان وَاللَّهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْفَاسِقِينَ اللہ تعالیٰ چھُونہ نافرمانن نجاتچ تہِ سعادتچ وتھ ہاوان يَوْمَ يَجْمَعُ اللَّهُ الرُّسُلَ سُو دوہ پاوِو ژتیس یمہِ دوٗہہ جمع کرِہ اللہ تعالیٰ سارِنی پیغمبرن اُمتیو سان سُو گو قیامتک دوہ کوتاہ ہُولناک چھ فَيَقُولُ مَاذَا أُجِبْتُمْ تو پتہ پرژھیکھ توٗہہِ کیاہ جواب اِووہ دنہ یمن اُمتین ہندہ طرفہ قَالُوا لَا عِلْمَ لَنَا تمِ دِپن اسہِ چھُونہ ژیتسی کہنی۔ تہِ آسہِ تمہ دوہکہِ شِدتِ ہُولک اثر تمن پیٹھہ۔ زہول آسیکھ سپدمُت إِنَّكَ أَنتَ عَلَّامُ الْغُيُوبِ پزِ پاٹھِ ژِی چھُوک سارِی پُوشیدہ چیز زانن وُن إِذْ قَالَ اللَّهُ يَا عِيسَى ابْنَ مَرْيَمَ اذْكُرْ نِعْمَتِي عَلَيْكَ وَعَلَىٰ وَالِدَتِكَ سُو دوہ پاوِو ژتیس یمہِ دوہہ پرژھِہ اللہ تعالیٰ حضرتِ عیسیٰ اَس علیہ السلام ای عیسیٰ بن مِریم ژِیتس پاومیانِ تمِ احسانات یمِ مُختلف وقتن اندر مختلف قِسمو ژِیہ پیٹھہ تہِ چانہِ والدس حضرت مریمس پیٹھہ مہ کرمت چھہِ إِذْ أَيَّدتُّكَ بِرُوحِ الْقُدُسِ یلہ سُو مدد کروی ژہ پاک رُوحہ سندہِ سیت (سُو گو جبریل امین علیہ السلام) تُكَلِّمُ النَّاسَ فِي الْمَهْدِ وَكَهْلًا کتھہ اُسکھ کران ژہ لوکچارس لوٗکن سیت منزلِس منز بیہ بوڈِ واتھِہ دون کلامن منز آس نہ کانہہ فرقاہ وَإِذْ عَلَّمْتُكَ الْكِتَابَ وَالْحِكْمَةَ بیہِ

وَالْحِكْمَةَ وَالتَّوْرٰىةَ وَالْاِنْجِيْلَ ۚ وَاِذْ تَخْلُقُ مِنَ الطِّيْنِ
كَهَيْئَةِ الطَّيْرِ بِاِذْنِيْ فَتَنْفُخُ فِيْهَا فَتَكُوْنُ طَيْرًا ۢ بِاِذْنِيْ وَ
تُبْرِئُ الْاَكْمَهَ وَالْاَبْرَصَ بِاِذْنِيْ ۚ وَاِذْ تُخْرِجُ الْمَوْتٰى بِاِذْنِيْ ۚ
وَاِذْ كَفَفْتُ بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ عَنْكَ اِذْ جِئْتَهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ
فَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْهُمْ اِنْ هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ مُّبِيْنٌ ﴿۱۱۰﴾ وَ
اِذْ اَوْحَيْتُ اِلَى الْحَوَارِيّٖنَ اَنْ اٰمِنُوْا بِيْ وَبِرَسُوْلِيْ ۚ قَالُوْٓا
اٰمَنَّا وَاشْهَدْ بِاَنَّنَا مُسْلِمُوْنَ ﴿۱۱۱﴾ اِذْ قَالَ الْحَوَارِيُّوْنَ

---

يله مہ ہچھناومکھ ژه ليکھن ته گاٹجارچه کتھ وَالتَّوْرٰىةَ وَالْاِنْجِيْلَ بيه تورات ته انجيل وَاِذْ تَخْلُقُ مِنَ
الطِّيْنِ كَهَيْئَةِ الطَّيْرِ بِاِذْنِيْ بيه يله ژه بناوان اوسکھ ربه ہند جانور ہی میانه حُکمه فَتَنْفُخُ فِيْهَا فَتَكُوْنُ
طَيْرًا ۢ بِاِذْنِيْ پَس اوسکھ ژ تتھ منز پھوکھ دِوان تو پته اوس سوواره کاره جانور بنان میانه حُکمه وَتُبْرِئُ
الْاَكْمَهَ وَالْاَبْرَصَ بِاِذْنِيْ بيه اُوس ہن مُولی اُون، نابینا ته ہیتھر لدیمار بلراوان میانه حُکمه وَاِذْ تُخْرِجُ
الْمَوْتٰى بِاِذْنِيْ بيه يله ژه مُرده اُوسھک زِنده کرِت قبرو منزه کڈان میانه حُکمه وَاِذْ كَفَفْتُ بَنِيْٓ
اِسْرَآءِيْلَ عَنْكَ اِذْ جِئْتَهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ بيه يله مه بنی اسرائیل ژه نِشه پتھ رٹ یله تمو چانه قتلک
اراده کریو یله ژه تمن نِشه ننه دِلیله ہیتھ آکھ فَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْهُمْ اِنْ هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ مُّبِيْنٌ پَس
وون تمو اَندره تموٗلوکو یم کافر آسِ چھنه یمه رُوشن دلیله مگر نون سحر ته جود۔ وَاِذْ اَوْحَيْتُ اِلَى
الْحَوَارِيّٖنَ اَنْ اٰمِنُوْا بِيْ وَبِرَسُوْلِيْ بيه يله مه حوارین حُکم کورکه پزھ کرِومه بيه میانس پیغمبرس قَالُوْٓا
اٰمَنَّا وَاشْهَدْ بِاَنَّنَا مُسْلِمُوْنَ تموٗدوپ ژیه گُن تمیُک جواب که اَسه اُون ایمان خدایس ته ژیه
ته وون روز ژه ای حضرت عیسیٰ گواه که اَس چھ پزپاٹھ مسلمان فرمانبردار خدایه سندِ ته چانِ ته اِذْ قَالَ
الْحَوَارِيُّوْنَ يٰعِيْسَى ابْنَ مَرْيَمَ بيه چھ قابل ذکر واقعه یه یله حوارئیو دوپ یاحضرت عیسیٰ بن مریم

يٰعِيْسَى ابْنَ مَرْيَمَ هَلْ يَسْتَطِيْعُ رَبُّكَ اَنْ يُّنَزِّلَ عَلَيْنَا مَآئِدَةً مِّنَ السَّمَآءِ ۭ قَالَ اتَّقُوا اللّٰهَ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ﴿١١٢﴾ قَالُوْا نُرِيْدُ اَنْ نَّاْكُلَ مِنْهَا وَتَطْمَىِٕنَّ قُلُوْبُنَا وَنَعْلَمَ اَنْ قَدْ صَدَقْتَنَا وَنَكُوْنَ عَلَيْهَا مِنَ الشّٰهِدِيْنَ ﴿١١٣﴾ قَالَ عِيْسَى ابْنُ مَرْيَمَ اللّٰهُمَّ رَبَّنَآ اَنْزِلْ عَلَيْنَا مَآئِدَةً مِّنَ السَّمَآءِ تَكُوْنُ لَنَا عِيْدًا لِّاَوَّلِنَا وَاٰخِرِنَا وَاٰيَةً مِّنْكَ ۚ وَارْزُقْنَا وَاَنْتَ

---

هَلْ يَسْتَطِيْعُ رَبُّكَ اَنْ يُّنَزِّلَ عَلَيْنَا مَآئِدَةً مِّنَ السَّمَآءِ كِياهِ تُهنجو پروردگار هيکنا اسمان طرف نعمتن هُند خوانچو نازل کري ٿو، والتہ، تہ ما پُڇو تهندس ڪُني حمس خلاف قَالَ اتَّقُوا اللّٰهَ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ حضرتِ عيسىٰ ان ڏوچو ڪُوڙو خدا ايس هرگاهه تهي بااِيمان ڇُوءِ۔ ڀوڙه ڪٿ ڪرن نشہ روز وپتهه تڪيازه بااِيمان پڙه نہ مُعجزن هنز فرمائش ڪرن۔ بےضرورت امہ قسمک چيز طلب ڪرُن ڇُهو خلافِ ادب۔ قَالُوْا نُرِيْدُ اَنْ نَّاْكُلَ مِنْهَا وَتَطْمَىِٕنَّ قُلُوْبُنَا وَنَعْلَمَ اَنْ قَدْ صَدَقْتَنَا وَنَكُوْنَ عَلَيْهَا مِنَ الشّٰهِدِيْنَ تم لگ وننه اسه خدايه سندس قادرِ مطلق آسنس اندر کُنهہ قسمہ شک تہ تردّد ڇُهو نہ بلکه ڇُهو سون مقصديه وننه اندره اکھ کہ اُس کھيمہ هو کينه اسه ڇهه بوچهہ لُجمہ بيه روزه هن سان دِل مطمئن۔ اسہ پيہ هنه معاشہ خيطره فکر ٿهاون تمہ نشہ بے فکر رُوزِ ٿهه کره هواس خدايه سنز عبادت۔ بيہ سپدہا معلوم اسہ توهہ فرموده پوز۔ بيشک ڇهوه تُهه پيغمبر خُدا۔ بيه روزه هواس تُهندس اتهه معجزس پيٹھه گواه۔ سُو سپده ٻين لوکن هندهِ هدايتک ذريعہ تہ سبب قَالَ عِيْسَى ابْنُ مَرْيَمَ چنانچہ يہ جواب بوزِتھ سپُد معلوم حضرتِ عيسىٰ اُس کہ تُهند غرض ڇهو صحيح اتى کور کھ دُعا اللّٰهُمَّ رَبَّنَآ اَنْزِلْ عَلَيْنَا مَآئِدَةً مِّنَ السَّمَآءِ يا اللہ اى سانه پروردگاره نازِل کراسہ پيٹھ خوانچہ۔ يتهه منز رنتهه کرِ تھ، تيار سپدِ تھ کھينک چيز آسن آسمانکہِ طرفہ تَكُوْنُ لَنَا عِيْدًا لِّاَوَّلِنَا وَاٰخِرِنَا وَاٰيَةً مِّنْكَ وَارْزُقْنَا وَاَنْتَ خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ تميُک وُسُن تہ نازِل سپُدن بنہِ سانه خيطره، سانين برونٹھمين پتمين هندهِ خيطره فرحت وسرورُک باعث۔ بيہ سپدِه سُوچانہِ قدرت کاملک بوڈ نشانہ۔ کراسہ امہ

خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ ﴿١١٤﴾ قَالَ اللّٰهُ اِنِّيْ مُنَزِّلُهَا عَلَيْكُمْ ۚ فَمَنْ يَّكْفُرْ بَعْدُ
مِنْكُمْ فَاِنِّيْٓ اُعَذِّبُهٗ عَذَابًا لَّآ اُعَذِّبُهٗٓ اَحَدًا مِّنَ الْعٰلَمِيْنَ ﴿١١٥﴾ ع
وَاِذْ قَالَ اللّٰهُ يٰعِيْسَى ابْنَ مَرْيَمَ ءَاَنْتَ قُلْتَ لِلنَّاسِ اتَّخِذُوْنِيْ
وَاُمِّيَ اِلٰهَيْنِ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ ۭ قَالَ سُبْحٰنَكَ مَا يَكُوْنُ لِيْٓ اَنْ اَقُوْلَ
مَا لَيْسَ لِيْ ۤ بِحَقٍّ ۭ اِنْ كُنْتُ قُلْتُهٗ فَقَدْ عَلِمْتَهٗ ۭ تَعْلَمُ مَا فِيْ نَفْسِيْ
وَلَآ اَعْلَمُ مَا فِيْ نَفْسِكَ ۭ اِنَّكَ اَنْتَ عَلَّامُ الْغُيُوْبِ ﴿١١٦﴾ مَا قُلْتُ لَهُمْ

---

طریقہ پِٹھ رِزق ژٕ عطا ژٕی چھوکھ سارِوی اَندرٕ بہتر عطا کرٕ وُن قَالَ اللّٰهُ اِنِّيْ مُنَزِّلُهَا عَلَيْكُمْ اللہ تعالیٰ ان فرموٗکھ بیشک بو کرٕ نازل خوانچہ توہہِ پیٹھ ضرور مگر فَمَنْ يَّكْفُرْ بَعْدُ مِنْكُمْ فَاِنِّيْٓ اُعَذِّبُهٗ عَذَابًا لَّآ اُعَذِّبُهٗٓ اَحَدًا مِّنَ الْعٰلَمِيْنَ تمہِ پتہ یُس اکھاہ توہہِ اَندرٕ کُفرانِ نعمت کرِ یعنی حقوق واجبہ ادا کرِ نہ تس کرٕ بو سُو عذاب یُس نہ کانسہِ اکِس کرٕ بہ تمہِ وقتہ کیو عالمیٚنوا اَندرٕ۔ وَاِذْ قَالَ اللّٰهُ يٰعِيْسَى ابْنَ مَرْيَمَ بیہ چھوٗ قابلِ ذکر یہ واقعہ یُس قیامتک دوہ درپیش ییہ۔ اللہ تعالیٰ فرماوہ تمہِ دوہہِ یا عیسیٰ بن مریم ءَاَنْتَ قُلْتَ لِلنَّاسِ اتَّخِذُوْنِيْ وَاُمِّيَ اِلٰهَيْنِ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ کیاہ ژٕ ے دُوٗنتھ لوٗکن بُوتہ میانہِ والِدہ زاینون زٕ معبود، خدا ایس ورای (یہِ بوزنہ سیت وُوتھہِ نٹھہ حضرتِ عیسیٰ اُس) قَالَ نٹان نٹان وَنہِ سُبْحٰنَكَ منزّہ نہ پاک چھوک ژٕ شریک آسنہِ نشہہ۔ میانہِ دِلکہِ اعتقادہ موٗجب تہ حقیقتِ واقعی موجب تہِ مَا يَكُوْنُ لِيْٓ مہِ کتھہ پاٹھِ پزہا اَنْ اَقُوْلَ مَا لَيْسَ لِيْ بِحَقٍّ بُوکیاوَنہ ہاسُوٗکتھہ یمیُک نہ میہ کانہہ حق اُوس نہ پزنہ دِلہ کہِ اعتقادہ کہِ اعتبارٕ نہ حقیقتِ واقعی کہ اعتبارٕ اِنْ كُنْتُ قُلْتُهٗ فَقَدْ عَلِمْتَهٗ ہر گاہ میہ یہِ ژھ کتھہ وُنمژ آسہِ تلہِ آسہِ ژٕ یہ خبری تَعْلَمُ مَا فِيْ نَفْسِيْ وَلَآ اَعْلَمُ مَا فِيْ نَفْسِكَ ژٕ زانکھ تہِ سورُوی یہِ میانس وندس منز چھوٗ کھٹتھ۔ مگر بُوزانہ نہ یہ چانس ذاتِ پاکس منز چھوٗ مگر ژٕ شیٚ ہَن ایشہٕن ژٕ یہ زانرو و تھس اِنَّكَ اَنْتَ عَلَّامُ الْغُيُوْبِ پزٕ پاٹھِ ژٕی چھوکھ سیٹھاہ زانہ وُن ساری پُوشیدہ چیز مَا قُلْتُ لَهُمْ اِلَّا مَآ اَمَرْتَنِيْ بِهٖ میہ وُون نہ لوٗکن مگر تِی یمیُک ژٕ یہ حُکم کور تھم اَنِ اعْبُدُوا اللّٰهَ رَبِّيْ وَرَبَّكُمْ سُو گیہِ یہَے کتھ کہِ عبادت کرِو معبودِ

إِلَّا مَآ أَمَرْتَنِى بِهِۦٓ أَنِ ٱعْبُدُوا۟ ٱللَّهَ رَبِّى وَرَبَّكُمْ ۚ وَكُنتُ عَلَيْهِمْ شَهِيدًا مَّا دُمْتُ فِيهِمْ ۖ فَلَمَّا تَوَفَّيْتَنِى كُنتَ أَنتَ ٱلرَّقِيبَ عَلَيْهِمْ ۚ وَأَنتَ عَلَىٰ كُلِّ شَىْءٍ شَهِيدٌ ﴿١١٧﴾ إِن تُعَذِّبْهُمْ فَإِنَّهُمْ عِبَادُكَ ۖ وَإِن تَغْفِرْ لَهُمْ فَإِنَّكَ أَنتَ ٱلْعَزِيزُ ٱلْحَكِيمُ ﴿١١٨﴾ قَالَ ٱللَّهُ هَٰذَا يَوْمُ يَنفَعُ ٱلصَّٰدِقِينَ صِدْقُهُمْ ۚ لَهُمْ جَنَّٰتٌ تَجْرِى مِن تَحْتِهَا ٱلْأَنْهَٰرُ خَٰلِدِينَ

---

برحقہ سنز یُس میوٗن تہ تہند پروردِ گار چھُو **وَكُنتُ عَلَيْهِمْ شَهِيدًا مَّا دُمْتُ فِيهِمْ** اِتِس کالس یُو تِمن منز اوس آسمانس پیٹھ کھار نہ یِنہ برونٹھہ تہ آسمانس پیٹھہ کھار نہ یِنہ پتہ تہِ **تیتِس کالس اوس یُو تِمن نگرانی** کران تہ تہوند حال وُچھان **فَلَمَّا تَوَفَّيْتَنِى كُنتَ أَنتَ ٱلرَّقِيبَ عَلَيْهِمْ وَأَنتَ عَلَىٰ كُلِّ شَىْءٍ شَهِيدٌ** تمہِ پتہ یلہِ ژیہ میون وقت پُورہ کورُتھ اَدہ اوٗسکھ ژی تُہند راُچھہِ ژی چھُوکھ پرتھہ چیزک حال وُچھان **إِن تُعَذِّبْهُمْ فَإِنَّهُمْ عِبَادُكَ** ہر گاہ ژہ تِمن عذاب کرکھ تِم چھہِ بندہ چانی۔ ژیہ چھُوی پُورہ اختیار تِمن پیٹھہ۔ **وَإِن تَغْفِرْ لَهُمْ** ہر گاہ تِمن بخشکھ تہ مغفرتھیٚ کرکھ **فَإِنَّكَ أَنتَ ٱلْعَزِيزُ ٱلْحَكِيمُ** چانِ اَتھہ کانہہ پتھہ ہیکہِ نہ رٹِتھہ کِیازہ ژہ چھُوکھ بیشک سارنی پیٹھہ غالب تہ حکمتہ وول **قَالَ ٱللَّهُ هَٰذَا يَوْمُ يَنفَعُ ٱلصَّٰدِقِينَ صِدْقُهُمْ** فرموو اللہ تعالیٰ اَن یہ از یُک دوٚہ چھُو یمہ دوہہ نفع دِیہِ پزیارین پوز پُزن۔ یمو لُوکو پزِس اعتقادس پیٹھ رُوزِتھہ رژہ عملہ کرمژہ آسن **لَهُمْ جَنَّٰتٌ تَجْرِى مِن تَحْتِهَا ٱلْأَنْهَٰرُ خَٰلِدِينَ فِيهَآ أَبَدًا** تہندِی خیطرہ چھہِ تِم جنّت تہ باغ یمو منز جویہ پکان آسن تِم روزن تِمنے جنتن منز ہمیشہ ابدآلآباد **رَّضِىَ ٱللَّهُ عَنْهُمْ وَرَضُوا۟ عَنْهُ** خدا تِمن نِشہ راضی تِم خدایس نِشہ راضی تہ خوش۔ **ذَٰلِكَ ٱلْفَوْزُ ٱلْعَظِيمُ** یہے گیہِ بڈ رستگاری تہ کامیابی یعنی رضایِ خدا حاصِل سپُدن۔ دنیاء چ کانہہ کامیابی چھنہ اَتھ برابر **لِلَّهِ مُلْكُ**

فِيهَآ أَبَدًا ۚ رَّضِيَ ٱللَّهُ عَنْهُمْ وَرَضُوا۟ عَنْهُ ۚ ذَٰلِكَ ٱلْفَوْزُ ٱلْعَظِيمُ ﴿١١٩﴾

لِلَّهِ مُلْكُ ٱلسَّمَٰوَٰتِ وَٱلْأَرْضِ وَمَا فِيهِنَّ ۚ وَهُوَ عَلَىٰ كُلِّ شَىْءٍ قَدِيرٌۢ ﴿١٢٠﴾

---

ٱلسَّمَٰوَٰتِ وَٱلْأَرْضِ وَمَا فِيهِنَّ پادشاہَت چھہ آسمانن منز تہٕ زمینن منز بیہِ تِمن سارنی پیٹھہ یِم تِمن دون منز روزان چھہِ۔ عالمِ علو یکِ مخلوق تہٕ عالمِ سفلیک مخلوق تہٕ وَهُوَ عَلَىٰ كُلِّ شَىْءٍ قَدِيرٌۢ سُوی چھُو پرِ یتھہ چیزس پیٹھہ قدرتہٕ وول۔ امسی مالک کلس پزِہ پنہٕ نین مخلوقن پیٹھہ احکام مُقرر کرن۔ سیٹھاہ تِچھہ تہٕ ناجائز چھو یِتھِس پادشاہہ سنز، یِتھِس قدرتہٕ والِ سنز نافرمانی تہٕ عدولِ حُکمی کرنِ۔



## سُوْرَةُ الْأَنْعَامِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِىْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَجَعَلَ الظُّلُمٰتِ وَالنُّوْرَ ۥ ثُمَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِرَبِّهِمْ يَعْدِلُوْنَ ① هُوَ الَّذِىْ خَلَقَكُمْ مِّنْ طِيْنٍ ثُمَّ قَضٰٓى اَجَلًا ؕ وَاَجَلٌ مُّسَمًّى عِنْدَهٗ ثُمَّ اَنْتُمْ تَمْتَرُوْنَ ② وَهُوَ اللّٰهُ فِى السَّمٰوٰتِ وَفِى الْاَرْضِ ؕ يَعْلَمُ سِرَّكُمْ وَجَهْرَكُمْ وَيَعْلَمُ مَا تَكْسِبُوْنَ ③ وَمَا تَاْتِيْهِمْ مِّنْ اٰيَةٍ مِّنْ اٰيٰتِ

---

اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِىْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَجَعَلَ الظُّلُمٰتِ وَالنُّوْرَ ساري حمد ۽ ثنا ڇهه سزاوار تس معبودِ برحق کي جنهن پيدا ڪيا آسمان ۽ زمين ۽ جنهن پيدا ڪيا اونداهيون ۽ روشني ثُمَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِرَبِّهِمْ يَعْدِلُوْنَ پوءِ قدرت جا وڏا نشان ڏسندي به ڪافر پنهنجي پروردگار سان برابر ٺاهين ٿا مخلوق کي ۽ معبودانِ باطلن (ڪٿي خالق ۽ ڪٿي مخلوق) هُوَ الَّذِىْ خَلَقَكُمْ مِّنْ طِيْنٍ ثُمَّ قَضٰٓى اَجَلًا سو اهو ئي آهي جنهن توهان کي مٽيءَ مان پيدا ڪيو. يعني توهان جي اصل حضرتِ آدم عليه السلام کي. پوءِ مقرر ڪيائين هڪ وقت جنهن تي انسان مرندو ۽ مرڻ کان پوءِ وَاَجَلٌ مُّسَمًّى عِنْدَهٗ ۽ هڪ وقت ٻيو به مقرر ٿيل آهي سندس وٽ جنهن ۾ ٻيهر زنده ٿيندا ثُمَّ اَنْتُمْ تَمْتَرُوْنَ پوءِ به توهان شڪ ڪريو ٿا ۽ ترديد ڪريو ٿا مرڻ کان پوءِ ٻيهر زنده ٿيڻ ۾. حالانڪه جنهن ذات پاڪ سڀني کي پيدا ڪيو اهو ٻيهر به پيدا ڪري سگهي ٿو. وَهُوَ اللّٰهُ فِى السَّمٰوٰتِ وَفِى الْاَرْضِ ۽ اهو ئي معبودِ برحق آهي آسمانن ۾ ۽ زمين ۾. ان کان سواءِ سڀ معبودانِ باطل. يَعْلَمُ سِرَّكُمْ وَجَهْرَكُمْ وَيَعْلَمُ مَا تَكْسِبُوْنَ ڄاڻي ٿو توهان جا پوشيده احوال ۽ ظاهر احوال به. ۽ ڄاڻي ٿو جيڪي ڪمايو ٿا توهان يعني نيڪ ۽ بد عمل

رَبِّهِمْ اِلَّا كَانُوْا عَنْهَا مُعْرِضِيْنَ ﴿۴﴾ فَقَدْ كَذَّبُوْا بِالْحَقِّ لَمَّا جَآءَهُمْ ۭ فَسَوْفَ يَاْتِيْهِمْ اَنْۢبٰۗـؤُا مَا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ ﴿۵﴾ اَلَمْ يَرَوْا كَمْ اَهْلَكْنَا مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنْ قَرْنٍ مَّكَّنّٰهُمْ فِي الْاَرْضِ مَا لَمْ نُمَكِّنْ لَّكُمْ وَاَرْسَلْنَا السَّمَاۗءَ عَلَيْهِمْ مِّدْرَارًا ۠ وَّجَعَلْنَا الْاَنْھٰرَ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهِمْ فَاَهْلَكْنٰهُمْ بِذُنُوْبِهِمْ وَاَنْشَاْنَا مِنْۢ بَعْدِهِمْ قَرْنًا اٰخَرِيْنَ ﴿۶﴾ وَلَوْ نَزَّلْنَا عَلَيْكَ كِتٰبًا فِيْ قِرْطَاسٍ فَلَمَسُوْهُ بِاَيْدِيْهِمْ لَقَالَ

---

اندرہ۔ یمو ترشوی آیاتِ کریمو سیت سپُد ثابت توحیدِ باری تعالیٰ کیازہ یُس اندر یم صفات آسن سُوی چھُو عبادتُس سزاوار بیہ نہ کانہہ وَمَا تَاْتِيْهِمْ مِّنْ اٰيَةٍ مِّنْ اٰيٰتِ رَبِّهِمْ اِلَّا كَانُوْا عَنْهَا مُعْرِضِيْنَ بیہ چھُونہ تمن مِکہ کین کافرن تہ مُنکرن نِشہ خدایہ سندہ وحدانیتہ کیو نشانو اندرہ کانہہ نشاناہ کانہہ دلیلاہ واتان۔ مگر تم چھِ تموٚ نشانو تہ دلیلو نِشہ بُتھ پھران۔ فَقَدْ كَذَّبُوْا بِالْحَقِّ لَمَّا جَآءَهُمْ چنانچہ تمو کور انکار یتھ پزِس قرآنِ مجیدس یلہِ سُو تمن تِشہ ووت۔ مگر تمن ہندہ اَمہِ انکار کرنہ تہ بُتھ پھرنہ نِشہ ایِہ نہ اَچھ ٹُونہ فَسَوْفَ يَاْتِيْهِمْ اَنْۢبٰۗـؤُا مَا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ جلدی لگہِ تمن پتہ تمہِ چیزک یُتھ تم ٹھٹھہ کران آس یعنی عذابس گرٛھن گرفتار اَلَمْ يَرَوْا كَمْ اَهْلَكْنَا مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنْ قَرْنٍ مَّكَّنّٰهُمْ فِي الْاَرْضِ مَا لَمْ نُمَكِّنْ لَّكُمْ وَاَرْسَلْنَا السَّمَاۗءَ عَلَيْهِمْ مِّدْرَارًا کیاہ تموٚ چھناہ پنہ نین سفرن اندر۔ اسہِ کاژاہ اُمژ چھہِ ہلاک کرِہ مژہ تمَن اسہِ دنیاءس اندر سُو قوت تہ طاقت دیوٚ تمت اوس یُس نہ توہہِ دیتمت چھُو۔ بیہ آس اَسِ تمن پیٹھہ آسمانکہِ طرفہ پےٚ درپےٚ وِزہ وِزہ رُود تراوان وَّجَعَلْنَا الْاَنْھٰرَ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهِمْ بیہ آسہ اسہِ تہنزٚ وبستیو تہ آبادیوٚ منزہ جویہِ تہ کولہ جاری کرِہ مژہ فَاَهْلَكْنٰهُمْ بِذُنُوْبِهِمْ باوجودِ آل کٔرِ اسہِ تمِ ہلاک تہند یوٚ گُنہو تہ نافرمانیوٚ سببہ۔ وَاَنْشَاْنَا مِنْۢ بَعْدِهِمْ قَرْنًا اٰخَرِيْنَ توپتہ کٔرِ اسہِ تمن پتہ واریاہ جماژ پیداہ۔ تِتھے پاٹھے توہہِ پیٹھ تہِ تہنزِ ہ نافرمانی سببہ اسِ عذاب نازِل گرو۔ یہ کیاہ عجائب چھُو۔ وَلَوْ نَزَّلْنَا عَلَيْكَ كِتٰبًا فِيْ قِرْطَاسٍ فَلَمَسُوْهُ بِاَيْدِيْهِمْ لَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِنْ هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ مُّبِيْنٌ تمن لوٗکن ہندہ کفر وعناد چھہ یہ کیفیت

الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِنْ هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ مُّبِيْنٌ ۝٧ وَقَالُوْا لَوْلَآ اُنْزِلَ
عَلَيْهِ مَلَكٌ ۭ وَلَوْ اَنْزَلْنَا مَلَكًا لَّقُضِيَ الْاَمْرُ ثُمَّ لَا يُنْظَرُوْنَ ۝٨
وَلَوْ جَعَلْنٰهُ مَلَكًا لَّجَعَلْنٰهُ رَجُلًا وَّلَلَبَسْنَا عَلَيْهِمْ مَّا
يَلْبِسُوْنَ ۝٩ وَلَقَدِ اسْتُهْزِئَ بِرُسُلٍ مِّنْ قَبْلِكَ فَحَاقَ
بِالَّذِيْنَ سَخِرُوْا مِنْهُمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ ۝١٠ ع قُلْ

---

ڪه هر گاهه اسِ ڪاغذ ۾ لکيل ڪتاب تو تي نازل ڪريون ها ته به هي ماڻهو ان کي پنهنجن هٿن سان ڇهي به ڏسن ها ته به هي ڪافر انڪار ڪندا ۽ چوندا ته هي ته کُليل جادو آهي. تنهن ڪري مٿن سمجهائڻ ۽ مڃائڻ جي ڪوشش ڪرڻ فضول آهي. مگر ٿوري وقت ۾ ان جو ڪارو هيو جڏهن جادو ڪياڙي ويله نه دِله ڪن ماڻن غرض ڇهو آسان تله ڇهو پر يتهه دليله نسبت ڪهن نته ڪينهه کڻ بيوان ڪڍنه وَقَالُوْا لَوْلَآ اُنْزِلَ عَلَيْهِ مَلَكٌ بيه ڊون ٻمو ڪافر ۽ ڪيازه ڇهونه نئن پاڻهِ نازل سپدان حضرتِ محمد ﷺ س پٿه ڪا نهاه ملڪاه ٻس يهندِ س پيغمبر آسنس پيٺه تصديق ڪرهِ ها۔ وَلَوْ اَنْزَلْنَا مَلَكًا الله تعالىٰ ڇهو فرماوان هر گاه اَسِ نازِل ڪره هؤن ملڪاه يتهه پاڻهِ ٻم يرڙهان آسِ لَّقُضِيَ الْاَمْرُ ثُمَّ لَا يُنْظَرُوْنَ تلهِ ييه هاقصي ختم ڪره نه يعني تتهه صورتس اندر هر گاه تم ايمان اَنه هَن نه۔ تلهِ يهه هاتهنده هلاڪتک ته گالنک حُکم جاري ڪرنه يتهه اَندر نه تمن ڪُنهِ قسمه مهلت ييه هادِنه موجود صورتس اندر آيه تمن مُهلت دِنه يُتهه تمن توبه ڪرنک مُوقعه حاصِل سپدِه وَلَوْ جَعَلْنٰهُ مَلَكًا لَّجَعَلْنٰهُ رَجُلًا بيه هر گاه اس پيغمبر بناو تهه سوز هؤن ڪانهه ملڪ سُوته ڪره هون اس بصُورتِ اِنسان ڪِيازه عام انسانن ڇهونه طاقت ملڪ ڏ ڇهنک وَّلَلَبَسْنَا عَلَيْهِمْ مَّا يَلْبِسُوْنَ توپته تراووهؤک اسِ تم تمني شُبهن اَندر و نکنس تم ييمت ڇهِ تمه ساته ته ونه هَن تيِ ڪَتهه يمه ۽ نکنس وَنان ڇهِ تمسندِ س بصُورتِ انسان آسنس پيٺه ڪره هن شبه خبر ڇهايه ڇها ملڪ ڪِنه ڇهونه۔ لهذا مه سپدِ وُتهه يارسول الله ينهز ۽ ڪهو سيت آزرده يه نو ڪتها ڇهنه وَلَقَدِ اسْتُهْزِئَ بِرُسُلٍ مِّنْ قَبْلِكَ فَحَاقَ بِالَّذِيْنَ سَخِرُوْا مِنْهُمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ پرزپاڻهِ ٺٺه آو ڪرنه تمن پيغمبرن سيت ته تم توهِ بُرونٺ آسِ۔ توپته ولِ تمِ تمي عذابن يتهه تم ٺٺه ڪران آسِ۔ يِي بنهِ تمنِ لُوڪن تهِ

سِيرُوا فِي الْأَرْضِ ثُمَّ انْظُرُوا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُكَذِّبِينَ ﴿۱۱﴾ قُلْ لِمَنْ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ ۖ قُلْ لِلّٰهِ ۚ كَتَبَ عَلٰى نَفْسِهِ الرَّحْمَةَ ۚ لَيَجْمَعَنَّكُمْ إِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ لَا رَيْبَ فِيهِ ۚ الَّذِينَ خَسِرُوا أَنْفُسَهُمْ فَهُمْ لَا يُؤْمِنُونَ ﴿۱۲﴾ وَلَهُ مَا سَكَنَ فِي الَّيْلِ وَالنَّهَارِ ۚ وَهُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ ﴿۱۳﴾ قُلْ أَغَيْرَ اللّٰهِ أَتَّخِذُ وَلِيًّا

---

تِم توهه ٺٺهه ڪران ڇهوِه. لهذا امه بانبرِ وکينهه. قُلْ سِيرُوا فِي الْأَرْضِ ثُمَّ انْظُرُوا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُكَذِّبِينَ فرماويو که تهه يارسول الله صلى الله عليه وسلم اى لوكو ڇهيروتهه سارسى زمينس توپته ڏڇهوِ کياه ڇهوسپدمت انجام مُنکرِن هند تِمو سانِ آيات اپزانِ قُلْ لِمَنْ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ پرڇهيو که تهه يارسول الله آسمان وزمينس منزيهِ ڇهوتهِ کهند ڇهو قُلْ تمِ نے اميک جواب وَنن يورے فرماويو که لِلّٰهِ سورُوى ڇهو معبودِ برحقه سُند کيازِه اميک جواب ڇهونه امهِ وراى کنهى. كَتَبَ عَلٰى نَفْسِهِ الرَّحْمَةَ تمِ ڇهَ ذمه هرمرپانس پيٺه لوکن نسبت مهربانى کرنِ. تِم ژرکه نِشه توبه کُرن لَيَجْمَعَنَّكُمْ إِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ لَا رَيْبَ فِيهِ ضرور کرِه توهه سارنى جمع قيامتک دوه توپته هيهِ سارنىٔ حساب قيامتک دُوه گو تِمکس پنس منزنه شکھے ڇهوکانه. الله تعالىٰ ڇهو فرماوان ڈيٺه کُيتهه تئے تُهه تِمنِ کافرِن توحيده ڇهِ دليله رحمتکِ ته عذابک وعده وعيده کُرو الَّذِينَ خَسِرُوا أَنْفُسَهُمْ فَهُمْ لَا يُؤْمِنُونَ مگر تِمو لوکو پنن پان پانے نقصانس ته تاوانس منزتردو تمِ پزه کرن نه، ايمان اَنن نه. کيازِه تِمو ڇهَ پننِ عقل ته نظر صحيح ضائع کرمژ. کانهه چيز حاصِل کرن خيطره ڇهو قوت فکريه استعمال کرُن لازم ته ضرورى آسان. تتهه قوتس ڇهنه تمِ کامى هيوان. لهذا اکتهه پاڻ اَنن تمِ ايمان. وَلَهُ مَا سَكَنَ فِي الَّيْلِ وَالنَّهَارِ بيهِ ڇهو تُهندُوى ته سورُوى يِه راتس ته دوهس منزروزِتھ ڇهو. يعنى مکان وزمانس منزيهِ کينژهاه ڇهوته ڇهو تهندُوى وَهُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ سُوى ڇهو سورُوى بوزه ون سورُوى زانه ون قُلْ فرماويو که تهه يا رسول الله أَغَيْرَ اللّٰهِ أَتَّخِذُ وَلِيًّا فَاطِرِ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ وَهُوَ يُطْعِمُ وَلَا يُطْعَمُ اى کافرو تهه ڇهوِه

فَاطِرِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَهُوَ يُطْعِمُ وَلَا يُطْعَمُ ؕ قُلْ
اِنِّيْٓ اُمِرْتُ اَنْ اَكُوْنَ اَوَّلَ مَنْ اَسْلَمَ وَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ
الْمُشْرِكِيْنَ ﴿١٤﴾ قُلْ اِنِّيْٓ اَخَافُ اِنْ عَصَيْتُ رَبِّيْ عَذَابَ
يَوْمٍ عَظِيْمٍ ﴿١٥﴾ مَنْ يُّصْرَفْ عَنْهُ يَوْمَئِذٍ فَقَدْ رَحِمَهٗ ؕ وَ
ذٰلِكَ الْفَوْزُ الْمُبِيْنُ ﴿١٦﴾ وَاِنْ يَّمْسَسْكَ اللّٰهُ بِضُرٍّ فَلَا كَاشِفَ
لَهٗٓ اِلَّا هُوَ ؕ وَاِنْ يَّمْسَسْكَ بِخَيْرٍ فَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ

---

پڑهان ٻو ڪيار ٽن معبود برحق ورای ٻيہ ڪانه دوستاه مددگاراه تہ معبودائينز عبادت ٻو ڪره سُو تراوِ تهہ يُس آسمانَن تہ زمينن هُند پيده ڪروُن ڇهو۔ ٻيہ ڇهو سارني کهياوان۔ تس ڇهونہ کهياوان ڪانہ۔ ڪيازِہ سُو ڇهو کهينہ چينہ نِشہِ منزّہ تہ پاک قُلْ اِنِّيْٓ اُمِرْتُ اَنْ اَكُوْنَ اَوَّلَ مَنْ اَسْلَمَ وَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ فرمايو کهہ تُهہ يارسُول الله تمو عقلي دليلو علاوه ڇهہ نقلي دليلہ تمو موجب نہ ٻوڪنہِ صُورتہ تَس وراي ڪانہ معبود زانَن۔ سو نقلي دليل گئيہِ يہے کہ ميہ آوامر ڪرنہ کہ ٻو آسہ گوڊنگوي حُکمس تعميل ڪرؤن۔ ٻيہ آم حکم ڪرنہ يُتھ نہ هرگز ٻنو تُهہ شِرک انہ وينو اَندره۔ يہ يلہِ تَس صاحبس وننہ آوَ يُس صاحب شِرک اننہ نِشہِ معصُوم تہ پاک ڇهو۔ وَنِ ڇهنہ ٻيئن هئنز کتهي۔ قُلْ اِنِّيْٓ اَخَافُ اِنْ عَصَيْتُ رَبِّيْ عَذَابَ يَوْمٍ عَظِيْمٍ فرماوئُ کهہ تهہ يارسُول الله ٻو ڇهوس کهوڙان هرگاه ٻو نافرماني ڪره پروردگارس پنہ نِس۔ بڈِه دوهکس عذابس۔ يُس عذاب حُکم نہ مانو نين ڪرنہ پيہ۔ سُو ٻو ڈوده گو قيامتکُ دوه مَنْ يُّصْرَفْ عَنْهُ يَوْمَئِذٍ فَقَدْ رَحِمَهٗ يَس اَکسِ نِشہِ تمہ دُهک عذاب پتھ ايہ رٹنہ بيشک تس کور خدائن ٻوڈ رحم۔ وَ ذٰلِكَ الْفَوْزُ الْمُبِيْنُ سوَی گيہ نِ رستگاري تہ ڪاميابي يعني تمہ دوهکہِ عذابہ نِشہ نجات لبُن وَاِنْ يَّمْسَسْكَ اللّٰهُ بِضُرٍّ فَلَا كَاشِفَ لَهٗٓ اِلَّا هُوَ اي انسانہ هرگاه ڙيہ واتناوي الله تعالىٰ ڪانہ تکليفاه، ڪانہ بلاياه ڪانہ بيمارياه ڪنہِ تنگياه پُس ڇهونہ ڪانہ اکهاه يُس تتھ تکليفس ڙيہ نِشہ دُور هيکہِ کرِ تهہ تَس معبُود برحقس وراي۔ وَاِنْ يَّمْسَسْكَ بِخَيْرٍ فَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ هرگاه سُو واتناوي ڙيہ

قَدِيۡرٌ ﴿۱۷﴾ وَهُوَ الۡقَاهِرُ فَوۡقَ عِبَادِهٖ ؕ وَهُوَ الۡحَكِيۡمُ الۡخَبِيۡرُ ﴿۱۸﴾
قُلۡ اَىُّ شَىۡءٍ اَكۡبَرُ شَهَادَةً ؕ قُلِ اللّٰهُ ۙ شَهِيۡدٌۢ بَيۡنِىۡ وَبَيۡنَكُمۡ ۚ
وَاُوۡحِىَ اِلَىَّ هٰذَا الۡقُرۡاٰنُ لِاُنۡذِرَكُمۡ بِهٖ وَمَنۡۢ بَلَغَ ؕ اَئِنَّكُمۡ
لَتَشۡهَدُوۡنَ اَنَّ مَعَ اللّٰهِ اٰلِهَةً اُخۡرٰى ؕ قُلْ لَّاۤ اَشۡهَدُ ۚ قُلۡ اِنَّمَا
هُوَ اِلٰـهٌ وَّاحِدٌ وَّاِنَّنِىۡ بَرِىۡٓءٌ مِّمَّا تُشۡرِكُوۡنَ ﴿۱۹﴾ اَلَّذِيۡنَ اٰتَيۡنٰهُمُ
الۡكِتٰبَ يَعۡرِفُوۡنَهٗ كَمَا يَعۡرِفُوۡنَ اَبۡنَآءَهُمۡ ۘ اَلَّذِيۡنَ خَسِرُوۡۤا اَنۡفُسَهُمۡ

---

کانہہ خیراہ صحتاہ، دولتھاہ، تسندِ اتھہِ کانہہ رٹھہ ہیکہِ نہ سُو چھُو پریتھ چیزس پیٹھ قدرت تہ دول۔ وَهُوَ الۡقَاهِرُ فَوۡقَ عِبَادِهٖ ؕ وَهُوَ الۡحَكِيۡمُ الۡخَبِيۡرُ سُوی چھُو غالب پنہ نین بندن پیٹھہ۔ بیہ چھُو سُوی بوڈ حکمتہ دول سارچی خبر تھاوہ وُن قُلۡ اَىُّ شَىۡءٍ اَكۡبَرُ شَهَادَةً تہہ پرژھو تمن توحید و رسالتہ کین مُنکرن کہ ساروی اَندرہ کُہہ چھُو بوڈ گواہ آسنہ کن۔ یمسندہ گواہی سیت کُنہِ مختلف فیہ مسلس منز فیصلہ ییہ کرنہ قُلِ اللّٰهُ ۙ شَهِيۡدٌۢ بَيۡنِىۡ وَبَيۡنَكُمۡ یورے فرماویُو کھ تہہ کہِ ساروی خوتہ چھُو بوڈ گواہ آسنہ کن اللہ تعالیٰ۔ سُوی چھُو میہ منز تہ توہہ منز گواہ۔ وَاُوۡحِىَ اِلَىَّ هٰذَا الۡقُرۡاٰنُ لِاُنۡذِرَكُمۡ بِهٖ وَمَنۡۢ بَلَغَ ؕ اَئِنَّكُمۡ لَتَشۡهَدُوۡنَ اَنَّ مَعَ اللّٰهِ اٰلِهَةً اُخۡرٰى کیا تُہہ چھواہ امہِ بجہ گواہی پتہ تہِ گواہی دِوان کہ خدایس سیت کیاہ چھُو بیہ کانہہ معبود تہ شریک۔ ہر گاہ تِم دِپن تِم چھِہ توتہ اَمہِ شرچ گواہی دِوان۔ تتھہ صورتس اندر چھُو تمن سیت گفتگو کرُن بے کار قُلْ لَّاۤ اَشۡهَدُ تہہ فرماویُو کھ بو ہرگز اژھہ کتھ ہنز گواہی چھُو سنہ دِوان قُلۡ اِنَّمَا هُوَ اِلٰـهٌ وَّاحِدٌ وَّاِنَّنِىۡ بَرِىۡٓءٌ مِّمَّا تُشۡرِكُوۡنَ تُہہ فرماویُو کھ تتھ صورتس اندر پنن اعتقاد کہ سُو معبود چھُو نہ مگر کُنُوی۔ بو چھُس بیزار تمو چیزو نشہِ ییم چیز تُہہ تَس شریک ٹھہراوان چھِوہ۔ رِسالتس متعلق چھِ کافرِ ونان کہِ اسہِ پُرژھ یہُود و نصاریٰ ان تتھ متعلق چھہ یہ کتھ مُحقق کہِ اَلَّذِيۡنَ اٰتَيۡنٰهُمُ الۡكِتٰبَ يَعۡرِفُوۡنَهٗ كَمَا يَعۡرِفُوۡنَ اَبۡنَآءَهُمۡ تِم لُوکھ یِمَن اَسہِ کِتاب عطا کٔر تِم چھِہ اَمِس پیغمبر برحقس شک و شُبہہ وارِ یتھے پاٹھِ زانان تہ پرزہ ناوان گوڈہ پیٹھے یتھہ پاٹھہ پنہ نین نچوین زانان تہ پرزہ ناوان چھِہ اَلَّذِيۡنَ

فَهُمْ لَا يُؤْمِنُونَ ﴿٢٠﴾ وَمَنْ أَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرَىٰ عَلَى اللَّهِ كَذِبًا أَوْ
كَذَّبَ بِآيَاتِهِ ۗ إِنَّهُ لَا يُفْلِحُ الظَّالِمُونَ ﴿٢١﴾ وَيَوْمَ نَحْشُرُهُمْ جَمِيعًا
ثُمَّ نَقُولُ لِلَّذِينَ أَشْرَكُوا أَيْنَ شُرَكَاؤُكُمُ الَّذِينَ كُنتُمْ
تَزْعُمُونَ ﴿٢٢﴾ ثُمَّ لَمْ تَكُن فِتْنَتُهُمْ إِلَّا أَن قَالُوا وَاللَّهِ رَبِّنَا مَا كُنَّا
مُشْرِكِينَ ﴿٢٣﴾ انظُرْ كَيْفَ كَذَبُوا عَلَىٰ أَنفُسِهِمْ ۚ وَضَلَّ عَنْهُم
مَّا كَانُوا يَفْتَرُونَ ﴿٢٤﴾ وَمِنْهُم مَّن يَسْتَمِعُ إِلَيْكَ ۖ وَجَعَلْنَا عَلَىٰ

---

خَسِرُوا أَنفُسَهُمْ فَهُمْ لَا يُؤْمِنُونَ تِهِ لوڪو باوجودِ شهادتِ ڪُبري يعني بڏ گواهي آسڪهِ باوجود پنهنِ پان تا وانس
تہ نقصانس منزترا وِ تہِ هرگز پڙهه ڪرن نہ، نہ توحيدس نہ رسالتس. تہِ منڪرين توحيد ورسالت ڇهه
عقلاً تهِ نهايت بي انصاف وَمَنْ أَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرَىٰ عَلَى اللَّهِ كَذِبًا أَوْ كَذَّبَ بِآيَاتِهِ إِنَّهُ لَا يُفْلِحُ
الظَّالِمُونَ بيهِ ڪُهه اکهاه ڇهوڙ ظالمِ تہ بي انصاف تَس شخصه سندِه خو تہ تِہِ اُپڙنوو رُوو ڪُنسِ خدا ايس پيٺه
شريڪ ٺهراونه سيت. يا اَپڙ زانِنِ تهندِ آيات تِہ پيغمبرن عطا آي ڪرنه. پڙپاٹِ ڪاميابي تہ رستگاري
ڇهنه هرگزِ تهين ظالمن قيامتک دوه بلڪهِ آسن تہِ گرفتارِ عذاب وَيَوْمَ نَحْشُرُهُمْ جَمِيعًا بيهِ ڇهوسُو دوه
تہِ قابلِ ذڪر يمهِ دوهه اسِ تہِ ساري خلايق جمع ڪرڈکه محشره ڪسِ ميدانس اَندر ثُمَّ نَقُولُ لِلَّذِينَ
أَشْرَكُوا أَيْنَ شُرَكَاؤُكُمُ الَّذِينَ كُنتُمْ تَزْعُمُونَ توپتہ وَنو اسِ تهن لُوڪن تِہ خدا ايس شريڪ
ٺهراوان آسِ. اَي مشرڪو ڪتہِ ڇهوه تہِ معبُودانِ باطِل تِہ تُهه خدايهِ سندِ شريڪ زانان آسِو کهه.
سفارشه خيطره ڪُونه ڇهوَ کهه پيش ڪران ثُمَّ لَمْ تَكُن فِتْنَتُهُمْ توپتہ آسِ نہ تهن پنه خياله نجاتڪِ ڪانهه
حيله تہ بهانه إِلَّا أَن قَالُوا وَاللَّهِ رَبِّنَا مَا كُنَّا مُشْرِكِينَ اپڙ وَننه وراي ڪانهه چيزاه. دپن قسم تَس
خدايهِ سُنديس سُون پروردگار ڇهو. اسِ آس نہ خدا ايس شريڪي ٺهراوان انظُرْ كَيْفَ كَذَبُوا عَلَىٰ
أَنفُسِهِمْ واره وڇهوِ ڪيُتهه اُپڙ ڈُونگهه پنه نين پانن هندِه حقه. وَضَلَّ عَنْهُم مَّا كَانُوا يَفْتَرُونَ
بيهِ مشڪهه تمه سارے ڪَتهه، اَپڙه ڪَتهه يمهِ ٺهراوان آسِ تہِ دُنياءس اندر وَمِنْهُم مَّن يَسْتَمِعُ إِلَيْكَ

قُلُوْبِهِمْ اَكِنَّةً اَنْ يَّفْقَهُوْهُ وَفِيْٓ اٰذَانِهِمْ وَقْرًا ؕ وَاِنْ يَّرَوْا كُلَّ اٰيَةٍ لَّا يُؤْمِنُوْا بِهَا ؕ حَتّٰٓى اِذَا جَآءُوْكَ يُجَادِلُوْنَكَ يَقُوْلُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِنْ هٰذَآ اِلَّآ اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ ﴿۲۵﴾ وَهُمْ يَنْهَوْنَ عَنْهُ وَيَنْـَٔوْنَ عَنْهُ ۚ وَاِنْ يُّهْلِكُوْنَ اِلَّآ اَنْفُسَهُمْ وَمَا يَشْعُرُوْنَ ﴿۲۶﴾ وَلَوْ تَرٰٓى اِذْ وُقِفُوْا عَلَى النَّارِ فَقَالُوْا يٰلَيْتَنَا نُرَدُّ وَلَا نُكَذِّبَ بِاٰيٰتِ رَبِّنَا وَنَكُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۲۷﴾ بَلْ بَدَا لَهُمْ مَّا كَانُوْا

---

تِمَوٕ کافرٕ وانٛدرٕ چھِ بعضے تِم تِھند قرآن مجید پرن چھِ بوٗزان۔ مگر سُہ تِھند بوٗزُن حق ژھانڈنہٕ خیٖطرٕ آسان چھُنہٕ وَجَعَلْنَا عَلٰى قُلُوْبِهِمْ اَكِنَّةً اَنْ يَّفْقَهُوْهُ وَفِيْٓ اٰذَانِهِمْ وَقْرًا اِس چھِ تِھندِین دِلن پیٹھ تراوٕمُت ٹھٔپُر۔ یُتھنہٕ تِمن فِکرٕ ترِ کینٛہہ بیٚیہ چھُو تِھندِین کنن تروومُت زر یُتھنہٕ بوٗزُن تِگیکھ کینٛہہ۔ تِھنز ن اچھن ہِنز کیفیت چھِ کہ وَاِنْ يَّرَوْا كُلَّ اٰيَةٍ لَّا يُؤْمِنُوْا بِهَا ہر گاہ تِمہ سارے دَلیلہٕ تہٕ وچھن تو تہٕ کرن نہٕ پزٕ زَن نہٕ کُنہی وُچھمُت آسیکھ حَتّٰٓى اِذَا جَآءُوْكَ يُجَادِلُوْنَكَ يَقُوْلُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِنْ هٰذَآ اِلَّآ اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ تاینکہ یلہِ توہہِ نِشہٕ یوان چھِ پنٕنہ خیالہ بحث کرنہ خیٖطرٕ مکر کینٛہہ چھُو کھ نہٕ اندان لاجواب گژھتھ چھِ وَنان تِم کافر کہ یہِ قرآنِ مجید چھُنہٕ مگر برونٛٹھِمین ہندا اَپزٕ قِصہ تہٕ افسانہ وَهُمْ يَنْهَوْنَ عَنْهُ وَيَنْـَٔوْنَ عَنْهُ بیٚیہ چھِ تِم کافر قرآنِ مجید بوٗزنہ نِشہٕ پتھ رٹان تہٕ منع کران بیٚیہ چھِ پانہ تہٕ اَسہِ نِشہٕ پتھ ژلان تہٕ دوٗر روزان وَاِنْ يُّهْلِكُوْنَ اِلَّآ اَنْفُسَهُمْ وَمَا يَشْعُرُوْنَ مگر یہِ کرنہ سیٖت چھُنہٕ تِم تباہ کران مگر پنٕنی پان بیٚیہ چھُنہٕ یہِ پنٕنِ تباہی ژینان تہٕ محسوٗس کران وَلَوْ تَرٰٓى اِذْ وُقِفُوْا عَلَى النَّارِ ہر گاہ ژٕہ وُچھکھ اَی وُچھِ وَنہِ سُہ وقت یِمہِ ساتہٕ تِم کافرٕ تہٕ مُنکِر وودنہٕ تھاونہٕ یِن نارکِس بٹھِس پیٹھ پرٔژھ گار کرنہ خیٖطرٕ بیٖن ہِنہ خیٖطرٕ تِمہ ساتہٕ وُچھکھ ژٕہ سیٹھا ہولناک منظر اہکھ فَقَالُوْا يٰلَيْتَنَا نُرَدُّ تِمہ ساتہٕ لگن دَپنہِ تِمِ اَی کاش اسے دُنیاءس کُن بیٚیہ یِمہِ ہوٗسوٗزنہٕ وَلَا نُكَذِّبَ بِاٰيٰتِ رَبِّنَا وَنَكُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ وٕنِ اَسِ پنٕنہ پنٕنِ خدایہِ سندِین آیاتن اِنکار کروہ ہوٕنہٕ، تِم اپزٕ زانہ ہوٕنہٕ۔ وٕنِ بنہ ہوٕ اَسِ تہٕ

يُخْفُوْنَ مِنْ قَبْلُ ۭ وَلَوْ رُدُّوْا لَعَادُوْا لِمَا نُهُوْا عَنْهُ وَاِنَّهُمْ
لَكٰذِبُوْنَ ۝٢٨ وَقَالُوْٓا اِنْ هِيَ اِلَّا حَيَاتُنَا الدُّنْيَا وَمَا نَحْنُ
بِمَبْعُوْثِيْنَ ۝٢٩ وَلَوْ تَرٰٓى اِذْ وُقِفُوْا عَلٰى رَبِّهِمْ ۭ قَالَ اَلَيْسَ
هٰذَا بِالْحَقِّ ۭ قَالُوْا بَلٰى وَرَبِّنَا ۭ قَالَ فَذُوْقُوا الْعَذَابَ بِمَا
كُنْتُمْ تَكْفُرُوْنَ ۝٣٠ قَدْ خَسِرَ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِلِقَاۗءِ اللّٰهِ ۭ حَتّٰٓى
اِذَا جَاۗءَتْهُمُ السَّاعَةُ بَغْتَةً قَالُوْا يٰحَسْرَتَنَا عَلٰى مَا فَرَّطْنَا فِيْهَا ۙ

---

بَلْ بَدَا لَهُمْ حقیقس پیٹھ مَنِی کُنہِ چھوٗنہ تمناکرُن یُہنُد یہِ فرماوان چھُو اللہ تعالیٰ۔ اَندرہ بایمانوی
مَّا كَانُوْا يُخْفُوْنَ مِنْ قَبْلُ بلکہِ سپد تِمن چیزن ہندِ اثرات ظاہر یِم پوٗشیدہ تہ کھٹتھ تھاوان آسِ تِم از
کہِ برونٹھہ دنیاءس اندر وَلَوْ رُدُّوْا لَعَادُوْا لِمَا نُهُوْا عَنْهُ وَاِنَّهُمْ لَكٰذِبُوْنَ ہرگاہ یِم بیہِ دنیاءاس گن
واپس ییِن سوزنہ بیہِ گرَن تِے کامہِ یِمَو نِشہِ منع اوسکھ یوان کرنہ پزِ پاٹھ تِمِ چھہِ یِم وعدہ کرنس اندر
بالکل اپزیر وَقَالُوْٓا اِنْ هِيَ اِلَّا حَيَاتُنَا الدُّنْيَا وَمَا نَحْنُ بِمَبْعُوْثِيْنَ بیہِ آسِ یِم کافریتہِ ونان کہِ بیاکھ
زندگیاہ چھنہِ بیہِ کینہہ یِمہِ سانہ دنیاچہِ زندگِ ورای۔ یہِ تِتھ چھُ غلط کہِ اسِ کِیا یِمو مرَنہ پتہ بیہِ زِندہ کرنہ
وَلَوْ تَرٰٓى اِذْ وُقِفُوْا عَلٰى رَبِّهِمْ ہرگاہ ژِہ وُچھہ ہکھ ای وُچھِہ ونہِ سُو وقت یِمہِ ساتہ یِم قیامتکِ منکرِ وودنہِ
تھاونہِ ییِن پنہ نِس پروردگارس برونٹھہ کُنہِ ژِہ گژھکھ حیران تہ پریشان سُو وقت وُچھتھ قَالَ اَلَيْسَ
هٰذَا بِالْحَقِّ اللہ تعالیٰ فرماویکھ ای منکرَو کیا آسِنا یہِ قیامت تہ مرنہ پتہ زِندہ سپدُن حقِ تہ پوز قَالُوْا بَلٰى
وَرَبِّنَا دپِن سانِس پروردگارہ سُند قسم یہِ اوسِ واقعی بالکل پوز قَالَ فَذُوْقُوا الْعَذَابَ بِمَا كُنْتُمْ
تَكْفُرُوْنَ اللہ تعالیٰ فرماویکھ یتہِ تُہندِس اقرار کرنس چھوٗنہ کینہہ اعتبار لہٰذا اژِھو ودنِ تُہہ عذاب پننہ
کُفرک تہ اِنکارُک تو پتہ ییِن سوزنہ یِم جہنمس منز قَدْ خَسِرَ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِلِقَاۗءِ اللّٰهِ بیشک تاوان
پیو تِمن لُوکن یِم انکار آسَن کران مرنہ پتہ بیہِ زِندہ سپدِت خدایس برونٹھہ گنہِ پیش سپدنس یہِ انکار
وتکذیب چھُو دنیاءس اندر کنیرِشن دوہَن حَتّٰٓى اِذَا جَاۗءَتْهُمُ السَّاعَةُ بَغْتَةً قَالُوْا يٰحَسْرَتَنَا عَلٰى مَا فَرَّطْنَا

وَهُمْ يَحْمِلُونَ أَوْزَارَهُمْ عَلَىٰ ظُهُورِهِمْ ۚ أَلَا سَاءَ مَا يَزِرُونَ ﴿٣١﴾ وَمَا الْحَيَاةُ الدُّنْيَا إِلَّا لَعِبٌ وَلَهْوٌ ۖ وَلَلدَّارُ الْآخِرَةُ خَيْرٌ لِّلَّذِينَ يَتَّقُونَ ۗ أَفَلَا تَعْقِلُونَ ﴿٣٢﴾ قَدْ نَعْلَمُ إِنَّهُ لَيَحْزُنُكَ الَّذِي يَقُولُونَ ۖ فَإِنَّهُمْ لَا يُكَذِّبُونَكَ وَلَٰكِنَّ الظَّالِمِينَ بِآيَاتِ اللَّهِ يَجْحَدُونَ ﴿٣٣﴾ وَلَقَدْ كُذِّبَتْ رُسُلٌ مِّن قَبْلِكَ فَصَبَرُوا عَلَىٰ مَا كُذِّبُوا وَأُوذُوا حَتَّىٰ أَتَاهُمْ نَصْرُنَا ۚ وَلَا مُبَدِّلَ

---

فِيهَا تمہ پتہ یلہِ واتھ پیہ تمن قیامت ہنگہ تہ منگہ دپنہٕ لگن افسوس چھوٗ سانہٕ خیطرٕ اَسہِ کیازِ کرے یہِ سُستی تہ کوتاہی اَتھ اندر وَهُمْ يَحْمِلُونَ أَوْزَارَهُمْ عَلَىٰ ظُهُورِهِمْ ۚ أَلَا سَاءَ مَا يَزِرُونَ درحالیکہِ تِلن تمِ پنہ نین گنٛہن ہند بور پنہ نین پُشتن پیٹھ۔ وارہ بوٗزِو کہِ کوتاہ تیچھ آسہِ یُہند یہِ بور کیازِ تمیُک اَنجام آسہِ سیٹھاہ تیچھ وَ مَا الْحَيَاةُ الدُّنْيَا إِلَّا لَعِبٌ وَلَهْوٌ چھنہٕ یہِ دنیاہِچ زندگی مگر گِند ناہ تہ شغلاہ وَلَلدَّارُ الْآخِرَةُ خَيْرٌ لِّلَّذِينَ يَتَّقُونَ أَفَلَا تَعْقِلُونَ البتہ آخرِ تک گرٕ چھوٗ سیٹھاہ بہتر پرہیزگارن ہندِ خیطرٕ کیا۔ تمہ دَلیلہ بوٗزِتھ تہِ چھوٕ ناتوہہِ فکرٕ تران۔ قَدْ نَعْلَمُ إِنَّهُ لَيَحْزُنُكَ الَّذِي يَقُولُونَ پزِ پاٹھٕ اَسِ چھہِ بخوبی یہِ کتھ زانان زِ توہہِ چھوٕ غمگین کران کافرن تہ مُنکرن ہنزٕ کتھہ۔ مگر پروا مہ بَرِو کینہہ خدائس پُٹھرِ و یہِ معاملہ فَإِنَّهُمْ لَا يُكَذِّبُونَكَ تِمَن حض چھنہٕ براہِ راست توہہِ اپزیور زانان وَلَٰكِنَّ الظَّالِمِينَ بِآيَاتِ اللَّهِ يَجْحَدُونَ لیکن یِم ظالمِ چھہِ خدایہِ سندین آیتن زانتھِ کرتھ عمداً انکار کران خدا چھڈِ نہ تِمَن عذابس گرفتار کرنہ وَرای۔ تہٕ رُوزِو بے فکر وَلَقَدْ كُذِّبَتْ رُسُلٌ مِّن قَبْلِكَ یہِ معاملہ سپدنہ توہی سیت، بلکہِ توہہِ برونٹھہ تہِ آوٚ پیغمبرن انکار کرنہ۔ فَصَبَرُوا عَلَىٰ مَا كُذِّبُوا تموٚ کور صبر لُوکن ہندِس انکارس، نہ مانس پیٹھ وَأُوذُوا حَتَّىٰ أَتَاهُمْ نَصْرُنَا بیہ انکار علاوہ آوٚ تمن عذاب تہ تکلیف تہِ واتناونہ تا اینکہ ووت تمن مدد سون۔ تموٚ پیغمبرو وِیتھ پاٹھہِ صبر کور تِتھے پاٹھہِ کرِو توہہ تہِ صبر، تِتھے پاٹھِ واتہِ توہہِ تہِ سون مدد۔ کیازِ یہِ اعانت و مدد کرٕن چھوٗ اَسہِ پنہ نین بندن ہندِ خیطرٕ مقرر

لِكَلِمٰتِ اللّٰهِ ۚ وَلَقَدْ جَآءَكَ مِنْ نَّبَاِی الْمُرْسَلِيْنَ ﴿۳۴﴾ وَاِنْ كَانَ كَبُرَ عَلَيْكَ اِعْرَاضُهُمْ فَاِنِ اسْتَطَعْتَ اَنْ تَبْتَغِيَ نَفَقًا فِي الْاَرْضِ اَوْ سُلَّمًا فِي السَّمَآءِ فَتَاْتِيَهُمْ بِاٰيَةٍ ۭ وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ لَجَمَعَهُمْ عَلَى الْهُدٰى فَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْجٰهِلِيْنَ ﴿۳۵﴾ اِنَّمَا يَسْتَجِيْبُ الَّذِيْنَ يَسْمَعُوْنَ ۭ وَالْمَوْتٰى يَبْعَثُهُمُ اللّٰهُ ثُمَّ اِلَيْهِ يُرْجَعُوْنَ ﴿۳۶﴾

---

کورمُت وَلَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِ اللّٰهِ ہرگز ہیکہِ نہ کانہ اکھاہ بدَل کٔرِتھ خدایہٕ سندین مقرر کرمتین حکمن وَلَقَدْ جَآءَكَ مِنْ نَّبَاِی الْمُرْسَلِيْنَ بیشک توہہٕ واژہ برونٹھمین پیغمبرن ہنز خبرہ قرآن مجید کہِ ذریعہ یعنی تمن کٔتھہ پاٹھِ آوٕ تکلیف دِنہ۔ تتھہ پیٹھہ کٔتھہ پاٹھِ کور تِموٕ صبر وَاِنْ كَانَ كَبُرَ عَلَيْكَ اِعْرَاضُهُمْ بیہ ہر گاہ توہہٕ پیٹھہ کافرن تہٕ منکرن ہنز روگردانی کرن چھوٗ نا گوار سپدان۔ تِہنز خواہش چھہٕ تمن تمِ معجزات ہاون یمن ہُند تمِ مطالبہ کران چھہِ۔ دیوہ تمی سیت تمن ہدایت بنہٕ فَاِنِ اسْتَطَعْتَ اَنْ تَبْتَغِيَ نَفَقًا فِي الْاَرْضِ اَوْ سُلَّمًا فِي السَّمَآءِ فَتَاْتِيَهُمْ بِاٰيَةٍ بایة پٔس ہر گاہ توہہٕ طاقت چھوٗ تہٕ کٔرِو تلاش زمینس منز کانہ گوٗپھاہ یا آسمانس کُن لاگو کانہہ ہیراہ تو پتہٕ دیوٗ کھ اَنتھہ تمِ معجزہ یم تمِ توہہٕ نِشہِ ژھانڈان تہٕ طلب کران چھہِ۔ چھوٗ ے طاقت تہٕ کٔرِو۔ یہِ چھوٗ پوٗرکہِ توہہٕ چھوٗ سیٹھاہ آرزو عالمکِ لُوکھ گژھہِ سیزٕ ہ وتہٕ پیٹھہ ہِن۔ مگر یہِ چھوٗ خدایہٕ سندِس یژھنس خلاف وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ لَجَمَعَهُمْ عَلَى الْهُدٰى پروردگارَ ے یژھہِ ہا سارنی سونبراوِ ہا ہدایتس پیٹھہ۔ مگر تمِ یو ژھنہ تہٕ فَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْجٰهِلِيْنَ پٔس مَہ بنوِ تُہہ بے خبر وأندرہ۔ یہِ غم تہٕ فکر تراوِ تُہہ اِنَّمَا يَسْتَجِيْبُ الَّذِيْنَ يَسْمَعُوْنَ یِم کٔتھہ چھنہِ مانان تہٕ قبول کران مگر تِمے یم وارہ بوٗزان چھ یِم کٔتھہ پوٗز ژھانڈنہ خیطرہ۔ تِمن چھوٗ اللہ تعالیٰ تہٕ ہدایتک توفیق دِوان۔ یِموٕ کافرَ وبوٗزنہ تتھہ پاٹھِ۔ لہذا اَتھہ پاٹھِ بنہٕ ہَکھہ ہدایت۔ وونِ ہر گاہ اَمہ اِنکار واعراضہ موٗکھہ تمن دنیاءس منز پوٗرہ عذاب آوٕ کرنہ تمن چھایتِ روٗزن آخرِ چھوٗکھ مُرن وَالْمَوْتٰى يَبْعَثُهُمُ اللّٰهُ ثُمَّ اِلَيْهِ يُرْجَعُوْنَ سارنی مُردن کرہِ اللہ تعالیٰ زِندہ قیامتک دوہ آخرِ تَس اَندر تو پتہٕ ہِن تمِ واتناونہ حسابہ

وَقَالُوْا لَوْلَا نُزِّلَ عَلَيْهِ اٰيَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ ؕ قُلْ اِنَّ اللّٰهَ قَادِرٌ عَلٰۤى اَنْ يُّنَزِّلَ اٰيَةً وَّلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۳۷﴾ وَمَا مِنْ دَآبَّةٍ فِى الْاَرْضِ وَلَا طٰۤئِرٍ يَّطِيْرُ بِجَنَاحَيْهِ اِلَّاۤ اُمَمٌ اَمْثَالُكُمْ ؕ مَا فَرَّطْنَا فِى الْكِتٰبِ مِنْ شَىْءٍ ثُمَّ اِلٰى رَبِّهِمْ يُحْشَرُوْنَ ﴿۳۸﴾ وَالَّذِيْنَ كَذَّبُوْا

---

خیطرٕ اللہ تعالیٰ اس نِشہِ۔ سُوی دِیہِ تِمن پُورٕ سزا تِمہِ اِنکارٕ و اعراضُک لہٰذا اتراوِو تُہہِ تُہند خیال۔ تُہنٛز فکِر تہٕ غم مہٕ برٕ وِکینہہ وَقَالُوْا لَوْلَا نُزِّلَ عَلَيْهِ اٰيَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ بیہِ دوپ مکہ کیو کافرو کٔونہ چھُو نازِل سپدان تِمِس پیغمبرس پیٹھ کانہہ نشانہٕ معجزاہ پننہ رِنس پروردگارہٕ سندِ طرفہٕ۔ تِمو معجزا اَندرٕ تِمَن ہُند اس مطالبہ چھِہ کران یِمہِ سیت یِہند س پیغمبر آسِنس تائید سپدِ ہا۔ قُلْ اِنَّ اللّٰهَ قَادِرٌ عَلٰۤى اَنْ يُّنَزِّلَ اٰيَةً وَّلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ فرماوِیوٗ کھ تُہہٕ یارسُول اللہ بیشک اللہ تعالیٰ چھُو پرِیتھ نشانہ تہٕ معجزہ نازِل کرنس پیٹھ قدرتہٕ وول۔ لیکن اکثر لُوکھ چھِنہٕ زانان کہِ معجزن ہُند نازِل کرُن چھُو اَکِس قانونس تحت آسان۔ یِہ چھُنہٕ لُوکن ہنٛز خواہشہِ مطابق نازِل کرنہٕ یِوان امکہِ انجامہٕ نِشہٕ چھِہ اکثر لُوکھ بے خبر۔ امہِ قسمکین معجزن ہُند انجام چھُو کہِ ہرگاہ تِم فرمایشی معجزہ یِتھہ تِم ایمان اَنِن نہٕ پژھ کرِن نہٕ تلہٕ یِن تِم یکدم ساری گالنہٕ تہٕ تباہ کرنہٕ وَمَا مِنْ دَآبَّةٍ فِى الْاَرْضِ وَلَا طٰۤئِرٍ يَّطِيْرُ بِجَنَاحَيْهِ اِلَّاۤ اُمَمٌ اَمْثَالُكُمْ بیہِ تِم جاندار زمینس منٛز خشکی پیٹھہ یا دریاوس منٛز چھِہ۔ بیہِ تِم جانور پننہ نیو دویو پرٕ سیت ہواءس منٛز وُڈان چھِہ۔ تِمَو منٛزہٕ چھُنہٕ کانہہ قسم یُس نہٕ قیامتک دوہ تُہندی پاٹھہِ جماژو جماژو محشرہٕ کِس میدانس منٛز جمع کرنہٕ ایِہ۔ اگرچہ تِم ساری چھِہ بے شمار، لیکن اَسہٕ نِشہٕ چھِہ تِم حسابس اندر جمع کرنہٕ آمتِ مَا فَرَّطْنَا فِى الْكِتٰبِ مِنْ شَىْءٍ کیازِہ اَسہِ چھُنہٕ ترووُمُت پننہ رِنس دفترس منٛز یعنی لوح محفوظس اندر لیکھنہٕ ورای کانہہ چیز اہ۔ پرِیتھہ اَکِس چیزس متعلق چھُو اَسہِ لیوکھمُت تِم چیز قیامتس تانِ پیدہ سپدہٕ وِن چھِہ کمسُنٛد کیاحال آسہِ ثُمَّ اِلٰى رَبِّهِمْ يُحْشَرُوْنَ توپتہٕ یِن تِم ساری اِنسان جاندار تہٕ جانور پننہ رِنس پروردگارس نِش جمع کرنہٕ سوی کرِہ سارنی منٛز فیصلہ۔ چنانچہ حدیثِ شریف چھُو ”متفق علیہ“ کہ اگر دنیاءس اندر

بِاٰيٰتِنَا صُمٌّ وَّبُكْمٌ فِى الظُّلُمٰتِ ؕ مَنْ يَّشَاِ اللّٰهُ يُضْلِلْهُ ؕ وَمَنْ يَّشَاْ يَجْعَلْهُ عَلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿۳۹﴾ قُلْ اَرَءَيْتَكُمْ اِنْ اَتٰىكُمْ عَذَابُ اللّٰهِ اَوْ اَتَتْكُمُ السَّاعَةُ اَغَيْرَ اللّٰهِ تَدْعُوْنَ ۚ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿۴۰﴾ بَلْ اِيَّاهُ تَدْعُوْنَ فَيَكْشِفُ مَا تَدْعُوْنَ اِلَيْهِ اِنْ شَآءَ وَتَنْسَوْنَ مَا تُشْرِكُوْنَ ﴿۴۱﴾ ۧ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَآ اِلٰٓى اُمَمٍ مِّنْ قَبْلِكَ فَاَخَذْنٰهُمْ بِالْبَاْسَآءِ

---

اکِ ہینگہ دار جانورن ہینگور ستِس جانورس ٹھول آسہِ لائمژ قیامتک دوہ ایہِ تَس نِشہِ امیُوک بدلہ ہینہ۔ تمہ پتہ ایہِ حیواناتن تہ جانورن حُکم کرنہ میُژ گژھِ ہنوہ تمن سَپدہ میُژ۔ تمی ساتہ دپن کافر 'یا لَیْتَنِی کُنْتُ تُرابا' کاش کہ بہ تہِ آسہا میُژ ے وَالَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا صُمٌّ وَّبُكْمٌ فِى الظُّلُمٰتِ تمہِ لُوکھ یمو اپزِ زانِ سانِ آیات یعنی قرآن مجید تمِ چھِ پوز بوزنہ نِشہ زرپوزونہ نِشہ کل۔ کُفرچن رنگارنگ گٹن اندر گرفتار مَنْ يَّشَاِ اللّٰهُ يُضْلِلْهُ یُس یژھِ اللہ تعالیٰ پزہِ نِشہ اعراض کرنہ موُکھہ گُمراہ کُن تَس چھُ گمراہ کران وَمَنْ يَّشَاْ يَجْعَلْهُ عَلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ بیہِ یُس یژھِ اللہ تعالیٰ تَس چھُ سیُزہِ وَتہِ پیٹھ دِین حقس پیٹھ انان پننہِ فضلہ سیت۔ یِھس حالس منز تہند غم کھیون چھُ بے سُود۔ یہِ معاملہ کُرِو تہ خدایس سپُرد قُلْ اَرَءَيْتَكُمْ اِنْ اَتٰىكُمْ عَذَابُ اللّٰهِ اَوْ اَتَتْكُمُ السَّاعَةُ اَغَيْرَ اللّٰهِ تَدْعُوْنَ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ فرماویو کھ تُہہ یارسول اللہ ای مکہ کیو کافرو میہ ونتو ہرگاہ توہہِ خدایہِ سَند عذاب ییہِ دنیاءس اندر تمو عذابوٗ اَندرہ کانہہ عذاباہ یُم از تام مُنکرن تہ نافرمانن پیٹھ نازِل کرنہ آئے یا قیامتھی ییہِ واتتھ توہیہِ یتھہ منز ہولناک واقعات آسن کیا تمِ ہولناک چیز دفع کرنہ خیطرہ دیوہ تُہہ آلو خدایس ورای بیہِ کانسہِ چھِوے تُہہ شریک ٹھہراونس اندر پزِ زیر بَلْ اِيَّاهُ تَدْعُوْنَ فَيَكْشِفُ مَا تَدْعُوْنَ اِلَيْهِ اِنْ شَآءَ وَتَنْسَوْنَ مَا تُشْرِكُوْنَ ہرگزنہ ہرگزِ نہ بلکہ دِیو تُہہ نادتہ آلو تمہ ساتہ تَس یوت تہ بیہِ نہ کانسہِ۔ پس کرووہ سُوی دُور تہ دفع سُو عذاب یمہِ خیطرہ تَس نادِ دیو۔ ہرگاہ سُو یژھِ سُو عذاب دُور کرُن۔ بیہِ مشِنوہ تمہ ساتہ تمِ ساری اپزِ معبُود یمِ تُس شریک ٹھہراوان آسِوہ۔ امی اَندرہ زانتو تُہہ خدایس ورای یلہِ نہ قادرِ مختار کانہہ

وَالضَّرَّآءِ لَعَلَّهُمْ يَتَضَرَّعُوْنَ ﴿۴۲﴾ فَلَوْلَآ اِذْ جَآءَهُمْ بَاْسُنَا تَضَرَّعُوْا
وَلٰكِنْ قَسَتْ قُلُوْبُهُمْ وَزَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿۴۳﴾
فَلَمَّا نَسُوْا مَا ذُكِّرُوْا بِهٖ فَتَحْنَا عَلَيْهِمْ اَبْوَابَ كُلِّ شَيْءٍ ۭ
حَتّٰٓي اِذَا فَرِحُوْا بِمَآ اُوْتُوْٓا اَخَذْنٰهُمْ بَغْتَةً فَاِذَا هُمْ
مُّبْلِسُوْنَ ﴿۴۴﴾ فَقُطِعَ دَابِرُ الْقَوْمِ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا ۭ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ
رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿۴۵﴾ قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ اَخَذَ اللّٰهُ سَمْعَكُمْ

---

چھو عباد تس سزاوار کُس ہیکہِ آسِتھ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَآ اِلٰٓى اُمَمٍ مِّنْ قَبْلِكَ بیشک بیہِ سوزِ اسہِ پنِنِ پیغمبر وارِیہَن امتن کُن توہہِ برونٹھ تموکر تمن پیغمبرن انکار تمِ زانِکھ اپزِ۔ فَاَخَذْنٰهُمْ بِالْبَاْسَآءِ وَالضَّرَّآءِ لَعَلَّهُمْ يَتَضَرَّعُوْنَ پَس رٹِ آسہِ تمِ رزقچہِ تنگی سیت تہ بیمارِیو سیت یُتھ تمِ ہناپھُٹن تہ اسہِ کُن رجُع کرِتھ عاجزی تہ زارہ پارہ کرن۔ پنہ نین کفر و تکذیبہ کین گنہن ہندِ خیطرہ فَلَوْلَآ اِذْ جَآءَهُمْ بَاْسُنَا تَضَرَّعُوْا پَس کونہ سَناکرےیِہ تموٕ عاجزی تہ زارہ پارِہ یمہِ ساتہ تمن سون عذاب واژووَ۔ وَلٰكِنْ قَسَتْ قُلُوْبُهُمْ لیکن یہندِ دِل آس سپدِ مت سخت عاجزِی کتھہ پاٹھِ کرہَن وَزَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ بیہِ اوٗس دِیتمت شیطانَن زینت تہزن تمن تچھہ کاین یمہِ تمِ کران آس۔ پَس آی نہ باز تمِ تموٕ تچھہ کامیوٕ نشہِ فَلَمَّا نَسُوْا مَا ذُكِّرُوْا بِهٖ فَتَحْنَا عَلَيْهِمْ اَبْوَابَ كُلِّ شَيْءٍ پَس یلہِ تموٕ مَشرواوہِ تمہ سارے نصیحژ یمہِ تمن کرنہ آسہ یوان پیغمبرن ہندہ ذریعہ اَدہ مُژراوِ اَسہِ تہندہ خیطرہ سارنِی نعمتن ہندِ دروازہ یُتھ زیادہ غرق گژھن نافرمانین اندر حَتّٰٓي اِذَا فَرِحُوْا بِمَآ اُوْتُوْٓا اَخَذْنٰهُمْ بَغْتَةً فَاِذَا هُمْ مُّبْلِسُوْنَ تااینکہ یلہِ تمِ سیٹھاہ خوش لگ گژھنہِ تموٕ نعمتو سیت یمہِ دِنہ آسکھ آمژہ۔ غرور تہ تکبّر ہیوت نکھ گژھن اَتی رٹ اَسہِ تمِ عذابہ سیت ہنگہ تہ منگہ پَس سپدِ تمِ حیران تہ پشیمان بیہِ ساروی چیز وَنشہِ نااُمیّد فَقُطِعَ دَابِرُ الْقَوْمِ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ پَس ژٹنہ آمول ظالمن ہُند۔ عالم سپُد آزاد تہندہ شرہ نشہِ۔ حمد بوین خدا یس یُس رب العالمین چھُ یم تمِ ظالمن ہنز بنیاد گاجِ قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ اَخَذَ اللّٰهُ

وَأَبْصَارَكُمْ وَخَتَمَ عَلَىٰ قُلُوبِكُم مَّنْ إِلَٰهٌ غَيْرُ اللَّهِ يَأْتِيكُم بِهِ ۗ انظُرْ
كَيْفَ نُصَرِّفُ الْآيَاتِ ثُمَّ هُمْ يَصْدِفُونَ ﴿٤٦﴾ قُلْ أَرَأَيْتَكُمْ إِنْ
أَتَاكُمْ عَذَابُ اللَّهِ بَغْتَةً أَوْ جَهْرَةً هَلْ يُهْلَكُ إِلَّا الْقَوْمُ
الظَّالِمُونَ ﴿٤٧﴾ وَمَا نُرْسِلُ الْمُرْسَلِينَ إِلَّا مُبَشِّرِينَ وَمُنذِرِينَ ۖ
فَمَنْ آمَنَ وَأَصْلَحَ فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُونَ ﴿٤٨﴾

---

سَمْعَكُمْ وَأَبْصَارَكُمْ وَخَتَمَ عَلَىٰ قُلُوبِكُم مَّنْ إِلَٰهٌ غَيْرُ اللَّهِ يَأْتِيكُم بِهِ فرمايو ته اي يارسول الله صلّى الله عليه وسلم تلاميه ڏنو ته هرگاه الله تعالى آسمان طرف کان عذاب نازل ڪري نه مگر سونيوه توهان بوزنڪ قوت، ڏڇهنڪ قوت، بيه ڪري تهندين دلن پيٺه مهر تيمه سيت نه ڪينهه ته هيڪو زانته ڪهه معبودا هيڪه معبود بر حقس وراى توهان تيم قوت عطاڪري ته. هرگاه تهه اٿه ڪٿه اقرار ڇهوڪه کانه ته هيڪه نه اسه تيم قوت عطاڪري ته اده ڪيازه ڇهوتس وراى ڪانه مستحق عبادت زانان انظُرْ كَيْفَ نُصَرِّفُ الْآيَاتِ ثُمَّ هُمْ يَصْدِفُونَ اى پيغمبر بر حق وڇهو ڪٿه پاڻهِ ڇهِ اس دليلن هنز وضاحت ڪران. تو پته ته ڇهِ تم تمن دليلن اندر غور وفڪر ڪرنه نشه بته پهران ته بي توجهي ڪران. قُلْ أَرَأَيْتَكُمْ إِنْ أَتَاكُمْ عَذَابُ اللَّهِ بَغْتَةً أَوْ جَهْرَةً هَلْ يُهْلَكُ إِلَّا الْقَوْمُ الظَّالِمُونَ فرمايو ته تهه يارسول الله ميه ونتو تهه اى ڪافرو هرگاه توهه خدايه سند عذاب واتهِ هنگه ته منگه نِ پاڻ رات ڪيت ياڏهله ڪيا ظالمن وراى ييابيه کانه تمه عذابه سيت گالنه. پس ڪيازه ڇهوه نه تهه نافرماني ته ظُلم وتعدّى نشه پته روزان وَمَا نُرْسِلُ الْمُرْسَلِينَ إِلَّا مُبَشِّرِينَ وَمُنذِرِينَ بيه ڇهِ اس سوزان پيغمبر لوڪن گن صرف تيمه ڪٿه خيطره ڪه تم فرماون باايمانن

فرمانبردارن خدايه سنزه رضامندي هنز بشارت بيه ڪرن ڪافرن ته نافرمانن پروردگار سنزه بيزاري هند بيم. امي خيطره سوزاسه حضرات انبياء، تيمه خيطره سوزنه ڪه تم ڪياهاون لوڪن تم تم معجزه تيم يمن معجزن هنز لوڪه فرمائش ڪرنڪه. تتهه پاڻهِ سوزوه اسه تهه ته يارسول الله فَمَنْ آمَنَ وَأَصْلَحَ فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُونَ پس تيمو لوڪو پيغبرن هنده بشارت ته بيم ڪرنه پته سائين آياتن پرٿه

وَالَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا يَمَسُّهُمُ الْعَذَابُ بِمَا كَانُوْا يَفْسُقُوْنَ ﴿۴۹﴾ قُلْ لَّآ اَقُوْلُ لَكُمْ عِنْدِيْ خَزَآئِنُ اللّٰهِ وَلَآ اَعْلَمُ الْغَيْبَ وَلَآ اَقُوْلُ لَكُمْ اِنِّيْ مَلَكٌ ۚ اِنْ اَتَّبِعُ اِلَّا مَا يُوْحٰٓى اِلَيَّ ؕ قُلْ هَلْ يَسْتَوِي الْاَعْمٰى وَالْبَصِيْرُ ؕ اَفَلَا تَتَفَكَّرُوْنَ ﴿۵۰﴾ ع وَاَنْذِرْ بِهِ الَّذِيْنَ يَخَافُوْنَ اَنْ يُّحْشَرُوْٓا اِلٰى رَبِّهِمْ لَيْسَ

---

کَرِ تھ رژہ عملہ کرہ تِمن آیند آخرِ تس اندر کانہہ خوفاہ نہ کانہہ غماہ آسہ وَالَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا يَمَسُّهُمُ الْعَذَابُ بِمَا كَانُوْا يَفْسُقُوْنَ یِمَو لوکو پیغمبرن ہندہ بشارت ونذارت کرنہ پتہ تہٕ سانین آیاتن اُپز زانتھ اَنکار کور تِمن رٹہِ عذاب دنیاہس اندر تہٕ آخرِ تس اندر تہٕ۔ تہٕ کیازِ تِم کیا آسن نافرمانی کران قُلْ لَّآ اَقُوْلُ لَكُمْ عِنْدِيْ خَزَآئِنُ اللّٰهِ یہ قاعدہ تہٕ اصل کتھ بیان کرنہ پتہ فرماوِ کھ ژٕہ یا رسول اللہ اَی لوکو دعویٰ نبوّت ورِسالت کرِ تھ چھُس نہ بو توہیہ ذیان میہ نِشہِ تہٕ میانس قُدرتس منز کیا چھہِ خدایہ سندین مقدوراتن ہندِ خزانہ۔ یمہ ساتہ تُہہ کُنہ چیزچ فرمائش کریوم تمہ ساتہ کیاہ نِزاوہ بو سُو چیز پننہِ قُدرتہٕ تہٕ طاقتہ سیت وَلَآ اَعْلَمُ الْغَيْبَ نہ چھُس بو یہ ونان کہ بو کیازانہ علم غیب۔ بلکہ چھُس بُو پیغمبر یوسہ پیغمبری میانِ دلیلو سیت ثابت چھہ۔ وَلَآ اَقُوْلُ لَكُمْ اِنِّيْ مَلَكٌ نہ چھُس یو توہہِ ذیان کہ بو کیاہ چھُس ملک اِنْ اَتَّبِعُ اِلَّا مَا يُوْحٰٓى اِلَيَّ بو چھُس نہ پیروی کران مگر تتھ یہ میہ نِشہِ بطریق وَحی سوزنہ یِوان چھُو۔ یتھ پاٹھہ بیَن پیغمبرن کُن وَحی سوزنہ یِوان اُوس قُلْ هَلْ يَسْتَوِي الْاَعْمٰى وَالْبَصِيْرُ فرمایُکھ اَی لوکو اُون تہٕ گاشدار چھا برابری یہ کتھ چھہ مسلّم کہ تِم زہ ہرگز برابر چھنہ۔ کیاہ تُہہ چھوِ ناپرژھان گاشدار بنتھ یتھ میانس کلامس اندر فکر کرنِ۔ اَفَلَا تَتَفَكَّرُوْنَ کونہ چھوِ پس تُہہ یتھ میانس کلامس اندر فکر کران وَاَنْذِرْ بِهِ الَّذِيْنَ يَخَافُوْنَ اَنْ يُّحْشَرُوْٓا اِلٰى رَبِّهِمْ تُہہ کرِو حضِ بیم یمہ قرآنِ مجیدہ سیت تِمن لوکن یِم کھوژان چھہ کہ تِم کیا یِن واتناوَنہ پننہ نِس پروردگارس نِشہِ لَيْسَ لَهُمْ مِّنْ دُوْنِهٖ وَلِيٌّ وَّلَا شَفِيْعٌ لَّعَلَّهُمْ يَتَّقُوْنَ یتھ حالس منز کہ نہ آسہ

لَهُمْ مِّنْ دُوْنِهٖ وَلِيٌّ وَّلَا شَفِيْعٌ لَّعَلَّهُمْ يَتَّقُوْنَ ﴿٥١﴾ وَلَا تَطْرُدِ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَدٰوةِ وَالْعَشِيِّ يُرِيْدُوْنَ وَجْهَهٗ ؕ مَا عَلَيْكَ مِنْ حِسَابِهِمْ مِّنْ شَيْءٍ وَّمَا مِنْ حِسَابِكَ عَلَيْهِمْ مِّنْ شَيْءٍ فَتَطْرُدَهُمْ فَتَكُوْنَ مِنَ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٥٢﴾ وَكَذٰلِكَ فَتَنَّا بَعْضَهُمْ بِبَعْضٍ لِّيَقُوْلُوْٓا اَهٰٓؤُلَآءِ مَنَّ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ مِّنْ بَيْنِنَا ؕ اَلَيْسَ اللّٰهُ بِاَعْلَمَ بِالشّٰكِرِيْنَ ﴿٥٣﴾

---

تمن تس وراى كانهه دوستاه ته نه كانه شفاعت كره ڏناه تاكه تمن پڳن احتياط سان ته کھوڙ کھوڙ وَلَا تَطْرُدِ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَدٰوةِ وَالْعَشِيِّ يُرِيْدُوْنَ وَجْهَهٗ بيه مه حض كريؤ كه ڏور پانس نشه تم لوك تهم عبادت كران چهو پنه نس پروردگاره سنز صُبح ته شامن ته۔ تهم ژهانڈان چهه تهند رضا، اده آستن تم فقيرى۔ مگر تم مه حض آسيؤ كه كڈان پنه مجلسه اندره مَا عَلَيْكَ مِنْ حِسَابِهِمْ مِّنْ شَيْءٍ وَّمَا مِنْ حِسَابِكَ عَلَيْهِمْ مِّنْ شَيْءٍ فَتَطْرُدَهُمْ فَتَكُوْنَ مِنَ الظّٰلِمِيْنَ توهه پيٹھ چهنه مٹه تهند ين عملن هنز جوابدہى نه چهو تمن پيٹھه مٹه تهنزن عملن هنز جوابدہى۔ يتهه گن نظر گرِتهه تُهه تم پنه مجلسه اندره نيبر كڈيؤ كه۔ هرگاه تڑھ كوم كرِوتُهه تله ايؤ تُهه شُمار كرنه بے انصافى ته ظُلم كره ونيو اندره وَكَذٰلِكَ فَتَنَّا بَعْضَهُمْ بِبَعْضٍ لِّيَقُوْلُوْٓا اَهٰٓؤُلَآءِ مَنَّ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ مِّنْ بَيْنِنَا يتهے پاٹھ كراسه آزمايش بعضى لوكن بعضى لوكو سيت (شريفس پست لوكو سيت۔ مالدارن فقيرو ته مسكينو سيت) يتهه مُنكر شريف ته مالدار دِپن بايمانن فقيرن هُند حال وچهتهه۔ كيا اسه منزه كرِه الله تعالىٰ ان امنى پيٹھ پنُن فضل ته مهربانى يكياز ِه اِمے آسه سانه خو ته زياده تتهه سزاوار اَلَيْسَ اللّٰهُ بِاَعْلَمَ بِالشّٰكِرِيْنَ كياه يه گتهه چهنا تحقيق كه خدا چهو يژانن وڈل شُكر گذارن ته حق شناسن۔ وَاِذَا جَآءَكَ الَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِاٰيٰتِنَا فَقُلْ سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ بيه يله آسن توهه نشه يوان يارسُول الله تم لوكه يمو پڑھ كرسانين آيات پس آسيُهه تُهه دِپان سلام بُوين توهه پيٹھه اى بايمانو تُهند ِه خيطره چهه بڈ بشارت كه توهه چهو سلامتى تمو سارِوى آفتو ته بلايو نشه يمن آفتن ته

وَإِذَا جَآءَكَ الَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِاٰيٰتِنَا فَقُلْ سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ كَتَبَ رَبُّكُمْ عَلٰى نَفْسِهِ الرَّحْمَةَ ۙ اَنَّهٗ مَنْ عَمِلَ مِنْكُمْ سُوْٓءًۢا بِجَهَالَةٍ ثُمَّ تَابَ مِنْۢ بَعْدِهٖ وَاَصْلَحَ ۙ فَاَنَّهٗ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿٥٤﴾ وَكَذٰلِكَ نُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ وَلِتَسْتَبِيْنَ سَبِيْلُ الْمُجْرِمِيْنَ ﴿٥٥﴾ ع قُلْ اِنِّيْ نُهِيْتُ اَنْ اَعْبُدَ الَّذِيْنَ تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ ؕ قُلْ لَّآ اَتَّبِعُ اَهْوَآءَكُمْ ۙ قَدْ ضَلَلْتُ اِذًا وَّمَآ اَنَا مِنَ الْمُهْتَدِيْنَ ﴿٥٦﴾

---

بلامِن آخرتس اَندر کافرِ تہٕ مُشرِک گرفتار سپدن كَتَبَ رَبُّكُمْ عَلٰى نَفْسِهِ الرَّحْمَةَ پانس پیٹھ ہرُٛ مۂ چھ رٕٛٹِھ تُہند پَروردِگارن مہربانی کرن سٕو مہربانی گیہٕ یہٕ کہ۔ اَنَّهٗ مَنْ عَمِلَ مِنْكُمْ سُوْٓءًۢا بِجَهَالَةٍ ثُمَّ تَابَ مِنْۢ بَعْدِهٖ وَاَصْلَحَ فَاَنَّهٗ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ یُس شخص تُوہہٕ اَندرٕ کانٛہہ گناہ کور، نادانی سبٕبہٕ، تو پتہٕ کورُن تمہِ پتہٕ توبہ بیہٕ کورُن پانس اصلاح، سٕبولُن پٔنُن پان، گٕنہو نِشہِ رُدُ پتھ گنہٕ وقتے توبہ پھُٹس بیہٕ کورُن توبہ پَس بیشک سُو چھُ تس تہٕ سیٹھاہ مغفرت کرَوُن سیٹھاہ رحم کرہُن وَكَذٰلِكَ نُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ وَلِتَسْتَبِيْنَ سَبِيْلُ الْمُجْرِمِيْنَ بیہٕ یتھہِ پاٹھہٕ یتنس باایمانن تہٕ کافرن ہُند حال تہٕ انجام واضِح کورِتھے پاٹھہِ چھہِ اَسِ آیاتن اندرٕ تہٕ پچھ وضاحت کران۔ یُتھہ باایمانن ہنز وَتھ تہٕ ظاہر سپدِہ کافرِن ہنز وَتھ تہٕ وارہ نہٕ۔ حق ژھانڈونین ہندِہ خیطرٕ سپدِہ مُعاملہ سہل تہٕ آسان قُلْ اِنِّيْ نُهِيْتُ اَنْ اَعْبُدَ الَّذِيْنَ تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ فرماوِیُو کھ تُہہ یارسول اللہ کہِ پزٕپاٹھہِ میہ چھُ خدایہٕ سندِہ طرفہٕ منع آمُت کرنہٕ تِمن معبودانِ باطلَن عبادت کرنہٕ نِشہِ یِمَن تُہہ خدا ایَس ورای عِبادت چھوِہ کران قُلْ لَّآ اَتَّبِعُ اَهْوَآءَكُمْ قَدْ ضَلَلْتُ اِذًا وَّمَآ اَنَا مِنَ الْمُهْتَدِيْنَ اِتہِ فرماوِیُو کھ توہہ بُو کرہٕ نہٕ پیروی تُہنزن خواہشن ہنز ہرگز۔ ہرگاہ بُو تہِ کرہ نعوذ باللہ تلہِ چھُس نہٕ بُو سیزِہ وَتہِ پیٹھہ پکہٕ وُنیو اَندرٕ تہٕ ہدایت لبہ وُنیو اَندرٕ قُلْ اِنِّيْ عَلٰى بَيِّنَةٍ مِّنْ رَّبِّيْ وَكَذَّبْتُمْ بِهٖ پتہٕ فرماوِیُو کھ تُہہ کہ میہ نِشہ چھہ یمہ دِین اسلامکس دِین حق آسنس پیٹھہ کافی دلیل یوسہ میانس پروردگار سندِہ طرفہٕ میہ نِشہ واژ۔ سٕو دلیل گیہٕ قرآنِ

قُلْ إِنِّي عَلَىٰ بَيِّنَةٍ مِّن رَّبِّي وَكَذَّبْتُم بِهِ ۚ مَا عِندِي مَا
تَسْتَعْجِلُونَ بِهِ ۚ إِنِ الْحُكْمُ إِلَّا لِلَّهِ ۖ يَقُصُّ الْحَقَّ ۖ وَهُوَ
خَيْرُ الْفَاصِلِينَ ﴿٥٧﴾ قُل لَّوْ أَنَّ عِندِي مَا تَسْتَعْجِلُونَ بِهِ
لَقُضِيَ الْأَمْرُ بَيْنِي وَبَيْنَكُمْ ۗ وَاللَّهُ أَعْلَمُ بِالظَّالِمِينَ ﴿٥٨﴾
وَعِندَهُ مَفَاتِحُ الْغَيْبِ لَا يَعْلَمُهَا إِلَّا هُوَ ۚ وَيَعْلَمُ مَا فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ ۚ وَمَا

---

مجید یُس میون بوڈ معجزہ چھوٚ۔ یمہ سیت میانٛس پیغمبر آسنس تصدیق سپدان چھوٚ۔ تُہہ چھوہ بے وجہ
تتھ اپزٕگنزٕ ران تہٕ انکار کران۔ تہہٕ چھوِہ نہ اتھہ صحیح دلیلہ تہٕ بڈِس معجزس پیٹھ اکتفاء کران۔ بلکہ چھوِہ
تہہٕ فوری عذاب نازِل سپدنک درخواست کران۔ مَا عِندِي مَا تَسْتَعْجِلُونَ بِهِ میہ اَتھہِ تہٕ
میانٛس قُدرتس منز چھوٚنہ سُو عذاب یمیُک تُہہ فوری مُطالبہ کران چھوٚہ یُس تہہٕ جلد ژھانڈان چھوِہ
إِنِ الْحُكْمُ إِلَّا لِلَّهِ اُمیک حُکم چھوٚنہ مگر خدایہ سِی اَتھہِ۔ تس نِشہِ بیہِ کانسہِ ہُند حُکم چلان چھوٚنہ۔ سُو
حُکم سپُدنہ ڈٕنہِ جاری۔ یُوٚتھہ پاٹھہِ اَنووہ پانٔے سُو عذاب۔ پتھہ رُودیہ بوڈ مُعجزہ قرآن مجید اَمکہِ نزولک سپُد
حُکم جاری۔ یہ چھسُوہ یُو توہہِ پیش کران تہٕ ہاوان يَقُصُّ الْحَقَّ وَهُوَ خَيْرُ الْفَاصِلِينَ اللہ تعالیٰ چھوٚ
بیان کران پزٕ کتھہ بدلیل۔ سُوی چھوٚ سارنی ہندہِ خوتہ بہتر فیصلہ کرہ ڈٕن۔ قُل لَّوْ أَنَّ عِندِي
مَا تَسْتَعْجِلُونَ بِهِ وارہ وضاحت کرنہ خیطرہ فرماویُکھ تہہٕ ہر گاہ میہ اَتھہِ تہٕ میانٛس اختیارس
منز آسہاتہِ یتھہ منز تُہہ جلدی کران چھوِہ یعنی عذاب نازِل کرُن لَقُضِيَ الْأَمْرُ بَيْنِي وَبَيْنَكُمْ تلہِ
آسہاوٕ نکتام توہہ تہٕ میہ منز کینہہ کالک فیصلہ آمُت کرنہ۔ تہِ چھوٚ فقط خدایسی اَتھہِ۔ وَاللَّهُ أَعْلَمُ
بِالظَّالِمِينَ اللہ تعالیٰ اَس چھوٚ پُورہ علم ظالمن ہُند۔ سُوی رٹہِ تمن پنہٕ نس موٗقس پیٹھ پانٔے وَعِندَهُ
مَفَاتِحُ الْغَيْبِ بیہِ چھہٕ تس نِشہِ یعنی تہندِس قدرتس منز غیبہ چہٕ کوٗنزٕ تہٕ خزانہ تمام پُوشیدہ چیزن ہندِ
لَا يَعْلَمُهَا إِلَّا هُوَ تمہِ زانہِ نہ کانہہ تس ورایِ۔ تمو چیزٕ وانٛدرہ یمہ چیزٕ چِ یمہِ وقتہ ایژٕہَن سُو ظاہر
کران چھوٚ تیژٕہَن چھوٚ سُو ظاہرِ کران وَيَعْلَمُ مَا فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ بیہِ چھوٚ سُوی زانان تہِ سورُوی یہ خُشکی پیٹھ

تَسْقُطُ مِنْ وَّرَقَةٍ اِلَّا يَعْلَمُهَا وَلَا حَبَّةٍ فِيْ ظُلُمٰتِ الْاَرْضِ وَلَا رَطْبٍ
وَّلَا يَابِسٍ اِلَّا فِيْ كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ ﴿٥٩﴾ وَهُوَ الَّذِيْ يَتَوَفّٰىكُمْ بِالَّيْلِ وَ
يَعْلَمُ مَا جَرَحْتُمْ بِالنَّهَارِ ثُمَّ يَبْعَثُكُمْ فِيْهِ لِيُقْضٰٓى اَجَلٌ مُّسَمًّى ۚ
ثُمَّ اِلَيْهِ مَرْجِعُكُمْ ثُمَّ يُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿٦٠﴾ وَهُوَ الْقَاهِرُ
فَوْقَ عِبَادِهٖ وَيُرْسِلُ عَلَيْكُمْ حَفَظَةً ۭ حَتّٰٓى اِذَا جَآءَ اَحَدَكُمُ
الْمَوْتُ تَوَفَّتْهُ رُسُلُنَا وَهُمْ لَا يُفَرِّطُوْنَ ﴿٦١﴾ ثُمَّ رُدُّوْٓا اِلَى اللّٰهِ

---

تہ دریاوَن منز چھُو وَمَا تَسْقُطُ مِنْ وَّرَقَةٍ اِلَّا يَعْلَمُهَا وَلَا حَبَّةٍ فِيْ ظُلُمٰتِ الْاَرْضِ وَلَا رَطْبٍ وَّلَا يَابِسٍ اِلَّا فِيْ كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ بیہِ چھُونہ کانْہہ پنہ برگاہ کُلِہ پیٹھہ وَسِ پیوان مگر سُو چھُو تہ سوروِی زانان بیہِ چھُونہ کانْہہ تہ پھولاہ زمینہ چہِ تاریکی منز پیوان مگر سُو چھُو تہِ تہ زانان۔ بیہِ چھُونہ کانْہہ اوُدرتہ ہو کھُمت چیز اہ یُس نہ روشن کتابہِ اندر درج کرنہ آمُت چھُو یعنی لوحِ محفوظس اندر، تتھہ منز چھُو پریتھہ چیز اہ یُس قیامتس تان پیدہ سپدہ وُن چھُو درج کرنہ آمُت وَهُوَ الَّذِيْ يَتَوَفّٰىكُمْ بِالَّيْلِ وَ يَعْلَمُ مَا جَرَحْتُمْ بِالنَّهَارِ سُو معبُودِ برحق گوسُوی یُس توہہِ (ای انسانو) رات کیُت نندرہ اندر اکہِ قسمہ ماران چھُو (پیوان چھُوہِ تہہ مُردہ ہی فرشن پیٹھہ) بیہِ چھُو سُوی زانان دوہُس منز کمہ کمہ کامہِ کرِو تہہُ ثُمَّ يَبْعَثُكُمْ فِيْهِ رات کیُت نندر پاوِتھ چھُوہ سُوی بیہِ ہُشیار کرِتھ تھودتُلان لِيُقْضٰٓى اَجَلٌ مُّسَمًّى یُتھہ پُورہ بیہِ کرنہ مُقرر کرنہ آمُت میعاد یعنی تُہنزِہ زندگی ہُند مُدّت راتکہِ ینہِ تہ گرھنہ سیت ثُمَّ اِلَيْهِ مَرْجِعُكُمْ توپتہ چھُو تس کُن توہِ رجُوع کرُن حقیقی مرنہ پتہ زندہ سپدِت ثُمَّ يُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ توپتہ کرِہ وہ سُو توہہِ خبر تُہہ کمہ کمہ کامہِ آسِو کران پَس دیوہ مزورِ پریتھ کامہِ ہنز رژِہ کامہِ رژ مُزورِ بیچھ کامہ بیچھ مزورِ وَهُوَ الْقَاهِرُ فَوْقَ عِبَادِهٖ وَيُرْسِلُ عَلَيْكُمْ حَفَظَةً سُوی پروردگار چھُو غالب قدرتہ سیت پنہ نین بندن پیٹھ بیہِ چھُو سُوی سوزان تُہندین بدنن ہندِہ حفاظتہ خیطرہ ملائیکن تِم ژرژان چھِہ تہنزہ سارے کامہِ حَتّٰٓى اِذَا جَآءَ اَحَدَكُمُ الْمَوْتُ تَوَفَّتْهُ رُسُلُنَا وَهُمْ لَا يُفَرِّطُوْنَ تاینکہ یلہِ واتان چھُو توہہِ اندرہ کانسہِ اکس مرنک وقت۔ قبض

مَوْلٰىهُمُ الْحَقِّ ؕ اَلَا لَهُ الْحُكْمُ ۫ وَهُوَ اَسْرَعُ الْحٰسِبِيْنَ ﴿۶۲﴾ قُلْ مَنْ
يُّنَجِّيْكُمْ مِّنْ ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَالْبَحْرِ تَدْعُوْنَهٗ تَضَرُّعًا وَّخُفْيَةً ۚ لَئِنْ
اَنْجٰىنَا مِنْ هٰذِهٖ لَنَكُوْنَنَّ مِنَ الشّٰكِرِيْنَ ﴿۶۳﴾ قُلِ اللّٰهُ يُنَجِّيْكُمْ
مِّنْهَا وَمِنْ كُلِّ كَرْبٍ ثُمَّ اَنْتُمْ تُشْرِكُوْنَ ﴿۶۴﴾ قُلْ هُوَ الْقَادِرُ عَلٰٓى
اَنْ يَّبْعَثَ عَلَيْكُمْ عَذَابًا مِّنْ فَوْقِكُمْ اَوْ مِنْ تَحْتِ اَرْجُلِكُمْ اَوْ
يَلْبِسَكُمْ شِيَعًا وَّيُذِيْقَ بَعْضَكُمْ بَاْسَ بَعْضٍ ؕ اُنْظُرْ كَيْفَ نُصَرِّفُ

---

رُوح چھہِ کران تس سانِ بدل سوزمتِ ملک۔ تم چھنہٕ کُنہِ قسمہ سانس حُکمس اندر کانسہٕ اَکس کمی یا زیادتی کران۔ بلکہ یتھ پاٹھِ تہٕ یمہ وقتہ تمن قبض رُوحک حُکم سپدان چھُ تتھے پاٹھِ چھہِ کران ثُمَّ رُدُّوْٓا اِلَى اللّٰهِ مَوْلٰىهُمُ الْحَقِّ تو پتہ ییٚن واتناونہ مرنہ پتہ ساری بندہ آخرِ تس منز معبودِ برحقس کُن۔ یُس تہند حقیقی مالِک چھُ۔ اَلَا لَهُ الْحُكْمُ وَهُوَ اَسْرَعُ الْحٰسِبِيْنَ وارہ بُوزِو تمہِ ساتہ آسِ حُکم تُہندوی حُکم، فیصلہ تہندوی فیصلہ سُوی چھُ یژ جلد حساب ہیوہ ڈن۔ حساب ہیتھ جزاء تہٕ سزا دِوہ ڈن قُلْ فرماوِیُو کھ تہٕ یا رسُول اللہ مَنْ يُّنَجِّيْكُمْ مِّنْ ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَالْبَحْرِ کُس چھُ یُس توہہِ اے مکہ کیو لُوکو تہندین سفرن اندر، خشکی تہٕ دریاون ہنزِ و سختیوٚ تہٕ مُشکلو نشہِ یتھ حالس منز نجات چھُ دِوان کہ تَدْعُوْنَهٗ تَضَرُّعًا وَّخُفْيَةً تُہہ چھِوہ تس نجات منگان عاجزی سان کُنہِ وقتہ، لوتہٕ لوتہٕ کُنہِ وقتہ وَنان چھِوہ تمہِ ساتہ یتھ پاٹھ۔ لَئِنْ اَنْجٰىنَا مِنْ هٰذِهٖ لَنَكُوْنَنَّ مِنَ الشّٰكِرِيْنَ اَی سانہِ پروردگار ہرگاہ ژہ اَسہِ نجات دِکھ یمہ سختی نِشہِ و نکینس، تیلہِ سپدَواسِ سیٹھاہ شکرگُذار حق شناسی پیٹھ قایم روزہ وینوا اندرہ قُلِ اللّٰهُ يُنَجِّيْكُمْ مِّنْهَا وَمِنْ كُلِّ كَرْبٍ ثُمَّ اَنْتُمْ تُشْرِكُوْنَ تُہی فرماوِیُو کھ کہ اللہ تعالیٰ ای چھُوہ توہہِ ہمیشہ نجات دِوان اَمہِ سختی نِشہ تہٕ۔ امہِ سختی ہنزِ کیاہ کتھی چھہِ سارِوی سختیو نِشہِ چھُوہ سُوی نجات دوان تو پتہ تہٕ چھِوہ تُہہ تس بدستُور شریک ٹھہراوان۔ شِرکچہ کامہِ کران یُس بڈ نا شکری تہٕ ناسپاسی گیہ۔ قُلْ هُوَ الْقَادِرُ عَلٰٓى اَنْ يَّبْعَثَ عَلَيْكُمْ عَذَابًا مِّنْ فَوْقِكُمْ اَوْ مِنْ تَحْتِ اَرْجُلِكُمْ اَوْ يَلْبِسَكُمْ شِيَعًا وَّيُذِيْقَ بَعْضَكُمْ بَاْسَ بَعْضٍ تُہہ فرماوِیُو کھ یا رسُول

الْاٰيٰتِ لَعَلَّهُمْ يَفْقَهُوْنَ ﴿۶۵﴾ وَكَذَّبَ بِهٖ قَوْمُكَ وَهُوَ الْحَقُّ ۭ قُلْ
لَّسْتُ عَلَيْكُمْ بِوَكِيْلٍ ﴿۶۶﴾ لِكُلِّ نَبَاٍ مُّسْتَقَرٌّ ۡ وَّسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ ﴿۶۷﴾
وَاِذَا رَاَيْتَ الَّذِيْنَ يَخُوْضُوْنَ فِيْٓ اٰيٰتِنَا فَاَعْرِضْ عَنْهُمْ حَتّٰى
يَخُوْضُوْا فِيْ حَدِيْثٍ غَيْرِهٖ ۭ وَاِمَّا يُنْسِيَنَّكَ الشَّيْطٰنُ فَلَا تَقْعُدْ
بَعْدَ الذِّكْرٰى مَعَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ ﴿۶۸﴾ وَمَا عَلَى الَّذِيْنَ يَتَّقُوْنَ

---

اللہ یہ کتھ تہٕ کہِ سُہ پروردگار اتھہ پأٹھہ نجات دِوہ وُن چھُ تتھے پأٹھہِ چھُ بوڈ قدرتہٕ ژول تہٕ کہِ تُہندہِ کُفر و شرکہ سببہ سوزِہ توہہِ پیٹھہ عذاب ہر سہ طرفہ۔ یعنی آسمانکہِ طرفہ کنہِ ہشہِ یا رُود یمہ سیت سیلاب ایوہ۔ یا تُہندیو کھور تلہ یعنی زمینکہِ طرفہ، بونیُول ہیو، یا کرِہ توہہِ وارِیاہ جماژ۔ تِمن پانہ وانِ سخت اختلاف آسہِ، تِیچ نوبت واتہ جنگ وجدلس پیٹھ۔ توپتہٕ ژھناوہ توہہِ اَندرہ اکس بے سزِہ لڑایہ ہُند مزہ۔ یا گرِہ سُہ توہہِ تِمن سارنی سختین گرفتار۔ غرض نجات دِیُن تہٕ تس اَتھہِ بلایہِ گرفتار کرُن تہٕ تس اتھہِ اُنْظُرْ كَيْفَ نُصَرِّفُ الْاٰيٰتِ لَعَلَّهُمْ يَفْقَهُوْنَ وچھوِ کتھہ پأٹھہِ چھہِ مختلف طریقوٲس بیان کران آیات یعنی توحیدچہ دلیلہ یُتھ تِمن وارہ فکرہ ترِہ وَكَذَّبَ بِهٖ قَوْمُكَ وَهُوَ الْحَقُّ باوجود آن زون اپزتہٕ غیر واقعی توہندِ قومن یہ عذاب۔ حالانکہِ یہِ چھُ بالکل حق تہٕ پُوز۔ یقیناً واقع سپدہ وُن۔ یہ بُوزِتھ ہیگن تِم صرف یوتُوی پرِ ژھتھہ کہِ یہِ عذاب کرِسپدِہ واقع قُلْ لَّسْتُ عَلَيْكُمْ بِوَكِيْلٍ تُہہ فرماویُکھ تِتھ متعلّق کہ بُو چھُس نہ توہہِ عذاب واقع کرنک ذِمہ دار۔ میہ کیا آسہِ تِیچ پُور خبر یا سُو کیا آسہِ میانس اختیارس اندر لِكُلِّ نَبَاٍ مُّسْتَقَرٌّ ۡ وَّسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ پریتھ خبرہ ہندِہ واقع سپدنہ خیطرہ چھُ اکھ وقتاہ مقرّر کرنہ آمُت۔ تو ہہِ سپدِہ جلدی معلوم وَاِذَا رَاَيْتَ الَّذِيْنَ يَخُوْضُوْنَ فِيْٓ اٰيٰتِنَا فَاَعْرِضْ عَنْهُمْ حَتّٰى يَخُوْضُوْا فِيْ حَدِيْثٍ غَيْرِهٖ بیہ یلہِ تُہہ وُچھان آسوہ کہِ تِم لُوکھ یعنی دُشمن تِہم سانین آیاتن تہٕ احکامَن نکتہ چینی چھہِ کران۔ پَس آسو تُہہ تِمن نِشہِ لوب روزان۔ تِمن منزمہَ آسِو بہان یو تتانِ تِم مشغول آسن سپدان تِمہِ ورای بیہ کُنہِ کتھِ منز وَاِمَّا يُنْسِيَنَّكَ الشَّيْطٰنُ فَلَا تَقْعُدْ بَعْدَ الذِّكْرٰى مَعَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ ہرگاہ کُنہِ وقتہٕ شیطان آسہ

مِنْ حِسَابِهِمْ مِّنْ شَيْءٍ وَّلٰكِنْ ذِكْرٰى لَعَلَّهُمْ يَتَّقُوْنَ ﴿٦٩﴾ وَذَرِ
الَّذِيْنَ اتَّخَذُوْا دِيْنَهُمْ لَعِبًا وَّلَهْوًا وَّغَرَّتْهُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا وَ
ذَكِّرْ بِهٖٓ اَنْ تُبْسَلَ نَفْسٌۢ بِمَا كَسَبَتْ ۖ لَيْسَ لَهَا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ
وَلِيٌّ وَّلَا شَفِيْعٌ ۚ وَاِنْ تَعْدِلْ كُلَّ عَدْلٍ لَّا يُؤْخَذْ مِنْهَا ۗ اُولٰٓئِكَ
الَّذِيْنَ اُبْسِلُوْا بِمَا كَسَبُوْا ۚ لَهُمْ شَرَابٌ مِّنْ حَمِيْمٍ وَّعَذَابٌ

---

تو ہیہِ یہِ ممانعت مشروان، تُہہ آسو مشرٗنس منز بغلطی تہزِ ہ مجلسہ اندر بہان ۔ پَس مہ بہو (یلہِ توہہِ
ژیتس پیوان آسہِ یہِ ممانعت۔ ظالم قومس سیت تہزِ ہ مجلسہِ اندر بلکہ آسِو فورٗا ژیتس پیوہ ونُوی تمہِ
مجلسہِ منزہ نیران وَمَا عَلَى الَّذِيْنَ يَتَّقُوْنَ مِنْ حِسَابِهِمْ مِّنْ شَيْءٍ وَّلٰكِنْ ذِكْرٰى لَعَلَّهُمْ يَتَّقُوْنَ يم لُوکھ
ممنوعاتِ شرعیو نِشہِ پتھہ روزَن۔ یمَن منز تژھن مجلسن اندر بلاضُرورت شمولیّت کرنِ تہِ پانے آوَ
یمَن مجلسن منز احکامِ اَسلامن پیٹھ طعن و تشنیع کرنہ آسہِ یوان۔ تمن پیٹھ چھوٗنہ طعنہ دِوہ وِنین ہندِہ
سزاءِ اَندرہ کانہہ چیز اہ۔ ہرگاہ کُنہ سخت ضرورتہِ مُوکھ تمن کُنہِ وقتہ تہزن مجلِسَن اندر گژھُن پیوان آسہِ۔
مگر تمن پزِہ توت گژھتھہ تمن وعظ و نصیحت کرنِ دیوہ تم تہِ طعنہ زنی نِشہِ پتھ روزَن وَذَرِ الَّذِيْنَ
اتَّخَذُوْا دِيْنَهُمْ لَعِبًا وَّلَهْوًا وَّغَرَّتْهُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا بلکہ تراویوٗکھ تم لُوکھ تہِ یم پنہ نس دینس (یتھہ مانُن
تہِ تسلیم کرُن تمن پیٹھ فرض اُوس یعنی دینِ اسلامَس) ٹھٹھہ تہِ تمسخر چھہِ کران۔ یمَن چھوٗ دُھوکہ
دُیتمت دنیاچہِ زندگانی۔ تم چھہِ دُنیاکس کھینَس چینَس اندر مَست، آخرت چھُکھہ نہ یادے وَذَكِّرْ بِهٖٓ
اَنْ تُبْسَلَ نَفْسٌۢ بِمَا كَسَبَتْ ترکِ تعلقات کرِ تھہ تہِ کرِ و تمن لُوکن وعظ و نصیحت تُہہ اَمہِ قرآنِ مجیدہ
سیت یُتھنہ یتھس عذابس گرفتار گژھہِ کانہہ شخصاہ پنہ نیو بَد اعمالیو سیت لَيْسَ لَهَا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَلِيٌّ وَّ
لَا شَفِيْعٌ وَاِنْ تَعْدِلْ كُلَّ عَدْلٍ لَّا يُؤْخَذْ مِنْهَا یمہ عذابہ نِشہِ مُوکلنہ خیطرٕہ آسِنہ تس شخصَس خدایَس
ورایِ کانہہ مددگار تہِ کانہہ شفاعت کرہ وُناہ۔ نہ مُوکلِہ سُو تمہِ عذابہ نِشہِ تیوت مال دِت یُس دُنیاءس
برابر آسہِ۔ سُوی سوٗروی مال تےِ سُو دِیہِ توتہ اِیَس نہ سُو مال ہرگز قُبول کرنہ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ اُبْسِلُوْا

أَلِيمٌ بِمَا كَانُوا يَكْفُرُونَ ﴿٧٠﴾ قُلْ أَنَدْعُوا مِنْ دُونِ اللَّهِ مَا لَا
يَنْفَعُنَا وَلَا يَضُرُّنَا وَنُرَدُّ عَلَىٰ أَعْقَابِنَا بَعْدَ إِذْ هَدَانَا اللَّهُ
كَالَّذِي اسْتَهْوَتْهُ الشَّيَاطِينُ فِي الْأَرْضِ حَيْرَانَ لَهُ أَصْحَابٌ
يَدْعُونَهُ إِلَى الْهُدَى ائْتِنَا ۗ قُلْ إِنَّ هُدَى اللَّهِ هُوَ الْهُدَىٰ ۖ
وَأُمِرْنَا لِنُسْلِمَ لِرَبِّ الْعَالَمِينَ ﴿٧١﴾ وَأَنْ أَقِيمُوا الصَّلَاةَ

---

بِمَا كَسَبُوا چنانچہ تہم دينس ٺٺوليون ۽ تمسخرہ ڪرڻ وارن آڳ گرفتار ڪرڻ پنھنجن بداعماليءَ ھنڌ سببہ۔ نصيحت نہ مڃڻ وڃھہ۔ لَهُمْ شَرَابٌ مِّنْ حَمِيمٍ وَّعَذَابٌ أَلِيمٌ بِمَا كَانُوا يَكْفُرُونَ تھنڌي چينہ خيطرہ آسہ آخر تس اندر جھنجھ گريکہ دوہ ونِ رسر۔ تمہ علاوہ بيہ ڪڏر عذاب ڪياڙہ تہم آسِ ڪُفر ڪران۔ تميگ اکھ شاخ تہ اکھ لنڈ توہين احڪام اِسلام اوس۔ قُلْ أَنَدْعُوا مِنْ دُونِ اللَّهِ مَا لَا يَنْفَعُنَا وَلَا يَضُرُّنَا فرمايوٗ کھ ڇُھہ يارسُول اللہ سارنِ مُسمانن ھنڌہ طرفہ ڪياہ اَسِ ڪروہ عبادت معبُودِ برحقس وراي تمن باطل معبُودن ھنز تہم نہ اَسہ ڪانھہ فائدہ ھيڪن واتناوِت۔ عبادت ڪرِ تھ تہ نہ ڪانھہ ضرراہ ھيڪن واتناوِتھ عبادت نہ ڪرِ تھ وَنُرَدُّ عَلَىٰ أَعْقَابِنَا بَعْدَ إِذْ هَدَانَا اللَّهُ بيہ ڇھا تُھنز خواھش اَسِ ڪياہ ڦير وپُوت ڪُفرس ڪُن اِسلام تراوِتھ خدايہ سنڌہ اَسہ ھدايت ڪرنہ پتہ تہ وَتھ ھاونہ پتہ اَتھ دِين حقس ڪُن۔ كَالَّذِي اسْتَهْوَتْهُ الشَّيَاطِينُ فِي الْأَرْضِ حَيْرَانَ تھ صورتس اندربنہِ سانِ مثال تس شخصہ سنز ھش يس بريم چاڪيو وَتھ راوَراوَمڙ آسہ ڪُنہِ جنگلس منزتہ سُو آسہ سپُدمُت حيران اَتھ وتھاہ آسيس نہ يوان ڪُنہِ ڪُن۔ لَهُ أَصْحَابٌ يَدْعُونَهُ إِلَى الْهُدَى ائْتِنَا تس آسن ڪِنہ دوست تہ تہم ناد ناد آسہِ تس دِوان کہ ڏولہ اَسہ ڪُن وَتھ ڇھے يپارِ مگر سُو آسِنہ حيراني سببہ تُھند آلوے بُوزان۔ نہ آسہِ سيزِہ وتہِ پيٹھ يوان۔ ڪياہ تُھنز خواھش ڇھا اَسِ تہِ گڙھو تِتھي بنن۔ تہِ بنہِ نہ ھرگز قُلْ إِنَّ هُدَى اللَّهِ هُوَ الْهُدَىٰ فرماويوٗ کھ تھہ ڪہ راہ۔ راست گئيہ سئو وَتھ يُسہِ اللہ تعاليٰ اَن پانہ ھاومڙ تہ باومڙ ڇھہ سئو وَتھ گئيہ دِين اسلام۔ تہم يہ تراوسُو ڏول سيزِہ وَتہِ نِشہ۔ اَسِ ھيگونہ ڪُنہِ صُورتس اندر تمہِ نشہ ڦير تھ وَأُمِرْنَا لِنُسْلِمَ لِرَبِّ الْعَالَمِينَ اَسِ

وَاتَّقُوْهُ ؕ وَهُوَ الَّذِیْۤ اِلَیْهِ تُحْشَرُوْنَ ۝۷۲ وَهُوَ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ ؕ وَیَوْمَ یَقُوْلُ كُنْ فَیَكُوْنُ ؕ۬ قَوْلُهُ الْحَقُّ ؕ وَلَهُ الْمُلْكُ یَوْمَ یُنْفَخُ فِی الصُّوْرِ ؕ عٰلِمُ الْغَیْبِ وَالشَّهَادَةِ ؕ وَهُوَ الْحَكِیْمُ الْخَبِیْرُ ۝۷۳ وَاِذْ قَالَ اِبْرٰهِیْمُ لِاَبِیْهِ اٰزَرَ

---

کِتھ پاٹھِ انٛو شرک بخدا۔ اَسےٚ حُکم کرنہ آوٚ فرمابردار روزُن عالمین ہندِس پروَردگارَس وَاَنْ اَقِیْمُوا الصَّلٰوةَ وَاتَّقُوْهُ بیہِ آوٚ حُکم کرنہ اَسہِ کہ نماز تھاوِو برپا پابندی سان۔ بیہ آوٚ حکم کر نہ کہِ کھوژِو خدائیس۔ تس شریک تھاونہ تہٕ تسنٛز نافرمانی کرنہ نِشہِ رُوزِو پتھ وَهُوَ الَّذِیْۤ اِلَیْهِ تُحْشَرُوْنَ سُوٚ گوٚ سُوٚی پروردگاریَس بروٚنٛٹھکِنہ توہہِ سارنی حِساب دِنہ خیطرہ جمع یِیو کرنہ، مُشرِکو چھُن پانٕنے تمہِ دُوہہ شِرکُک مزہ وَهُوَ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ بیہِ گوٚ سُوٚ پروَردگار سُوٚی یٔمہِ آسمان تہٕ زمین پیدہ کٔرِ پزِ پاٹھِ مخلوقن ہندِہ فائدہ خیطرہ، بوڈ فائدہ چھُو یہِ ہے کہِ یِم دوشوٚے چھہِ تمسندی مخلُوق، دوشوٚے چھہِ دلالت کران تمسندِس وحدانتیس پیٹھ وَیَوْمَ یَقُوْلُ كُنْ فَیَكُوْنُ بیہِ یٔمہ دوہہ دِیہِ سُوٚ خالِق کُل حُکم کرِہ قیامتس سپَد برپا۔ اَتی سپدہ قیامت برپا۔ قَوْلُهُ الْحَقُّ وَلَهُ الْمُلْكُ یَوْمَ یُنْفَخُ فِی الصُّوْرِ تمسنٛدُیہِ وَنُن چھُو باثر۔ توہُندوی چھُو مُلک۔ تھنٛزی چھہِ پادشاہت۔ یٔمہ دوہہ پوٚغس منز دوٚیُم پھوکہ یِیہِ دِنہ تمی دوہہ نہِ حکومُت اللہ تعالیٰ سنٛز۔ یلہِ سُوٚ فیصلہ کرِہ موٚحدن تہٕ مشرکن منز۔ عٰلِمُ الْغَیْبِ وَالشَّهَادَةِ سُوٚی چھُو زانہ وُن تہِ سوٚ رُوی یہِ کھٹِتھ چھُو مخلُوقن نِشہِ بیہِ تہِ سوٚ رُوی یہِ نون چھُو مخلُوقن نِشہِ۔ تس نِشہِ چھُو نہ کھٹِتھے کانہہ چیز۔ وَهُوَ الْحَكِیْمُ الْخَبِیْرُ سُوٚی چھُو سیٹھاہ حِکمتہ وول تہٕ سیٹھاہ زانَن وول۔ تس چھہَ سارِ چی پُورہ خبرَ۔ مضمونِ آیاتِ قرآنیو سیت چھُو معلُوم سپدان کہِ حضرتِ ابراہیمہ سُند قوم اُوس بُت پرستی تہِ کران۔ بیہ اُوس سِتارَن آفتابَس تہٕ زونہِ تھنٛز پرستش کران۔ تمن دوشونِ خیالن ہُند رَد کوٚر حضرتِ ابراہیمن۔ تمہِ چی چھُو اللہ تعالیٰ یمن آیات کرِ تمن اندر ذِکرِ فرماوان وَاِذْ قَالَ اِبْرٰهِیْمُ لِاَبِیْهِ اٰزَرَ بیہِ چھُو سُوٚ وقت تہِ ژتیس پاوٕنس قابلِ یلہِ حضرتِ ابراہیمن

اَتَتَّخِذُ اَصْنَامًا اٰلِهَةً ۚ اِنِّیْٓ اَرٰىكَ وَقَوْمَكَ فِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنٍ ﴿۷۴﴾ وَكَذٰلِكَ نُرِیْٓ اِبْرٰهِیْمَ مَلَكُوْتَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَلِیَكُوْنَ مِنَ الْمُوْقِنِیْنَ ﴿۷۵﴾ فَلَمَّا جَنَّ عَلَیْهِ الَّیْلُ رَاٰ كَوْكَبًا ۚ قَالَ هٰذَا رَبِّیْ ۚ فَلَمَّآ اَفَلَ قَالَ لَآ اُحِبُّ الْاٰفِلِیْنَ ﴿۷۶﴾ فَلَمَّا رَاَ الْقَمَرَ بَازِغًا قَالَ هٰذَا رَبِّیْ ۚ فَلَمَّآ اَفَلَ قَالَ لَىِٕنْ لَّمْ یَهْدِنِیْ رَبِّیْ لَاَكُوْنَنَّ مِنَ الْقَوْمِ الضَّآلِّیْنَ ﴿۷۷﴾ فَلَمَّا رَاَ الشَّمْسَ بَازِغَةً قَالَ هٰذَا رَبِّیْ

دوپ مالس پنہٕ ںٕس، آزرٕس ناوٕ اوس اَتَتَّخِذُ اَصْنَامًا اٰلِهَةً ای آذر کیاہ ژٕ چھکھ پوٗتلہٕ زانان معبود پنٕنۍ تیم پانٕے گران چھوہکھ اِنِّیْٓ اَرٰىكَ وَقَوْمَكَ فِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنٍ بہٕ چھس وُچھان ژٕ تہٕ بیہ چون قوم، تیم ژٕ اتھ اِعتقادس اندر مُوافق چھِ بنہٕ گمراہی اندر۔ شوبیا انسانس اشرف المخلوقات آسِتھ بے جان چیز پنٕنۍ معبود زانٕنۍ۔ وَكَذٰلِكَ نُرِیْٓ اِبْرٰهِیْمَ مَلَكُوْتَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَلِیَكُوْنَ مِنَ الْمُوْقِنِیْنَ اتھ پاٹھِ حضرتِ ابراہیمس ہاوٕ اسہِ بُت پرستی ہنز خرابی تہٕ بُطلان۔ تِتھے پاٹھِ ہاوٕ اسہِ تس آسمان وزمیٖنٕچ پادشہت یُتھ سُو سپدِ کامِل یقینہٕ والیو اندر۔ فَلَمَّا جَنَّ عَلَیْهِ الَّیْلُ رَاٰ كَوْكَبًا قَالَ هٰذَا رَبِّیْ چنانچہ یلہِ رات تمِس پیٹھ تاریک سپز۔ ڈیٹھ تمۍ تارُکاہ اکھ۔ پنہٕ ںٕس قومس لگ وننہٕ یوہے چھا میون تہٕ تُہُند رُب تہند ہ خیالہ فَلَمَّآ اَفَلَ قَالَ لَآ اُحِبُّ الْاٰفِلِیْنَ دوپُن بہٕ چھس نہٕ پسند کران لوسون چیز۔ تیم ہیکن نہٕ کانسہِ ہندِ رُب آسِتھ فَلَمَّا رَاَ الْقَمَرَ بَازِغًا تمہٕ پتہٕ یلہِ تمۍ وچھ زون زوتان تہٕ تیہ کران قَالَ هٰذَا رَبِّیْ تمۍ پرُژھ قومس یوٗہے چھا میون رُبّ تُہند خیالہ فَلَمَّآ اَفَلَ قَالَ لَىِٕنْ لَّمْ یَهْدِنِیْ رَبِّیْ لَاَكُوْنَنَّ مِنَ الْقَوْمِ الضَّآلِّیْنَ پَس یلہِ سوتہٕ لوس دوپکھ ہرگاہ نٕے میہ پروردگار وتہ ہاوہ ہے تلہٕ بنہٕ ہا بہٕ تہٕ تُہند پاٹھہٕ گمراہ لوکو اندر۔ فَلَمَّا رَاَ الشَّمْسَ بَازِغَةً پَس یلہِ رات گژھتھ دوہ آو تہٕ آفتاب ڈیٹھ تمۍ شولہ ماران کھسان قَالَ هٰذَا رَبِّیْ هٰذَآ اَكْبَرُ دوپکھ یوٗہے آسہِ میون رُب تُہند ہ خیالہ کیازِ یہ چھ بوڈوی پَنٕن بین ستارن ہندِ خوتہٕ۔ فَلَمَّآ اَفَلَتْ پَس یلہِ سوتہٕ لوس قَالَ یٰقَوْمِ اِنِّیْ بَرِیْٓءٌ مِّمَّا تُشْرِكُوْنَ دوپکھ

هٰذَآ اَكْبَرُ ۚ فَلَمَّآ اَفَلَتْ قَالَ يٰقَوْمِ اِنِّيْ بَرِيْٓءٌ مِّمَّا تُشْرِكُوْنَ ﴿۷۸﴾ اِنِّيْ وَجَّهْتُ وَجْهِيَ لِلَّذِيْ فَطَرَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ حَنِيْفًا وَّمَآ اَنَا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿۷۹﴾ وَحَآجَّهٗ قَوْمُهٗ ۭ قَالَ اَتُحَآجُّوْٓنِّيْ فِي اللّٰهِ وَقَدْ هَدٰىنِ ۭ وَلَآ اَخَافُ مَا تُشْرِكُوْنَ بِهٖٓ اِلَّآ اَنْ يَّشَاۗءَ رَبِّيْ شَيْـــًٔا ۭ وَسِعَ رَبِّيْ كُلَّ شَيْءٍ عِلْمًا ۭ اَفَلَا تَتَذَكَّرُوْنَ ﴿۸۰﴾ وَكَيْفَ اَخَافُ مَآ اَشْرَكْتُمْ وَلَا تَخَافُوْنَ اَنَّكُمْ اَشْرَكْتُمْ بِاللّٰهِ مَا لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ عَلَيْكُمْ

---

اے قوم بے شک بو چھوس بیزار تمو ساروی چیز ونشہ تم تُہہ معبُودِ برحقس شریک چھوَ کھ ٹھراوان اِنِّيْ وَجَّهْتُ وَجْهِيَ لِلَّذِيْ فَطَرَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ حَنِيْفًا وَّمَآ اَنَا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ بِہ پاٹھ بُو پھیوُرس تس معبُود برحقس کُن یم آسمان تہ زمین گوڈنی پیدہ کور۔ سارِوی اپز یو دِینو نِشہِ الگ سپد تھ بیہ چھوس نہ بُو ہرگز تُہندِ پاٹھہِ خدایس شریک انہ وینو اَندرہ وَحَآجَّهٗ قَوْمُهٗ قَالَ اَتُحَآجُّوْٓنِّيْ فِي اللّٰهِ وَقَدْ هَدٰىنِ تو پتہ آو تمن نِشہ بحث کرنہِ قوم تُہند۔ تمو دوپُچھ ای قوم کیاہ تُہہ چھوِہ بہان بحث لاگنہِ میہ سیت خدایہِ سندس توحیدس اَندر۔ حالانکہِ تم کور میہ ہدایت تہ وتھ ہاوِنم تو ہہ بروٹھکنہ صحیح دلیل پیش کرنس کُن یُس میہ پیش کر وَلَآ اَخَافُ مَا تُشْرِكُوْنَ بِهٖٓ میہ مہٰ بِہو کھوژناوِنہ۔ میہ چھوُ نہ کانہہ پروا تُہندین معبُودانِ باطلن ہُند۔ یم تُہہ لاشریکس شریک چھوَ کھ ٹھروان۔ تم ہیکن نہ میہ کینہ کرِتھ میہ ہیکہِ نہ کانہہ تکلیف واتتھ اِلَّآ اَنْ يَّشَاۗءَ رَبِّيْ شَيْـــًٔا مگر یہ کہنہ یژھِ میون پروردگار وَسِعَ رَبِّيْ كُلَّ شَيْءٍ عِلْمًا اَفَلَا تَتَذَكَّرُوْنَ واتتھ چھو میانس پروردگارہ سُند علم پرتھ چیزس۔ تس چھہٕ قدرتِ کاملہ تہ علم کامِل تُہندین معبُودانِ باطلن نہ قدرت تہ نہ علم۔ میہ کتھ چھوہ کھوژہ ناوان۔ مگر افسوس ایہ وضاحتہ پتہ تہِ چھوِہ ناتُہہ نصیحت رٹان وَكَيْفَ اَخَافُ مَآ اَشْرَكْتُمْ بُو کتھ پاٹھ کھوژہ تُہندین معبُودانِ باطِلن۔ تمن اَتھہِ چھوُ نہ کہنی۔ وَلَا تَخَافُوْنَ اَنَّكُمْ اَشْرَكْتُمْ بِاللّٰهِ مَا لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ عَلَيْكُمْ سُلْطٰنًا حالانکہِ کھوژُن پزِہ ہاتو ہہ مگر تُہہ چھوِہ نہ کھوژان پنہ نِس بڈس جبرس۔ کیازہ وہہ ٹھرووہ کُنِس خُدایس شریک یُس

سُلْطٰنًا ؕ فَاَیُّ الْفَرِیْقَیْنِ اَحَقُّ بِالْاَمْنِ ۚ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿۸۱﴾
اَلَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَلَمْ یَلْبِسُوْۤا اِیْمَانَهُمْ بِظُلْمٍ اُولٰٓىِٕكَ لَهُمُ الْاَمْنُ
وَهُمْ مُّهْتَدُوْنَ ﴿۸۲﴾ۧ وَتِلْكَ حُجَّتُنَاۤ اٰتَیْنٰهَاۤ اِبْرٰهِیْمَ عَلٰى قَوْمِهٖ ؕ
نَرْفَعُ دَرَجٰتٍ مَّنْ نَّشَآءُ ؕ اِنَّ رَبَّكَ حَكِیْمٌ عَلِیْمٌ ﴿۸۳﴾ وَوَهَبْنَا
لَهٗۤ اِسْحٰقَ وَیَعْقُوْبَ ؕ كُلًّا هَدَیْنَا ۚ وَنُوْحًا هَدَیْنَا مِنْ قَبْلُ

---

شریک آسنہ نِش چھُو منزّہ تہٕ پاک تےٚ شریک یُنہٕ دِس شریک آسنس پیٹھ نہ خدایَن کانٛہہ دلیلاہ نازل کرمُژ چھےٚ۔ یہِ دلیل بوٗزِتھ وَنِتو وارہ تامُل کٔرِتھ فَاَیُّ الْفَرِیْقَیْنِ اَحَقُّ بِالْاَمْنِ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ تِمَو دۅیو جماعتو اَندرہ یعنی مُشرِکو تہٕ مُوحِدَو اندرہ کوسہ جماعت چھےٚ اَمنس تہٕ بے خوفی زیادہ مستحق وَنِتو ہرگاہ تۄہہِ کینہہ خبر چھےٚ یا کینہہ زانان چھِوہ تُہہ کیاہ ہیکِو وَنِتھ۔ اِس وَنووہ یوٗرے وارہ بوزِو۔ اَلَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَلَمْ یَلْبِسُوْۤا اِیْمَانَهُمْ بِظُلْمٍ اُولٰٓىِٕكَ لَهُمُ الْاَمْنُ وَهُمْ مُّهْتَدُوْنَ تِم لُوکھ یِمَو ایمان اوٗن معبوٗد برحقس تہٕ پتہٕ ملہِ نووُنہٕ یِمَو ایمان پنُن شِرکس سیت تِمے گےٚ تِم یِہندِ خیطرٕ چھُو قیامتَس دوہ اَمن تہٕ دلِک قرار۔ بیہِ چھِ تِمے دُنیاہس اندر سیزِ وَتہِ پیٹھ۔ صرف مُوحّد، پتھ رودِ مُشرِک تِہندِ خیطرٕ کُنہِ قسمہٕ اَمن وامان چھُونہٕ۔ وَتِلْكَ حُجَّتُنَاۤ اٰتَیْنٰهَاۤ اِبْرٰهِیْمَ عَلٰى قَوْمِهٖ تےٚ گٔیہ سانہِ تِمہٕ دلیلہ یِمہِ اَسہِ عطا کٔرِ حضرتِ ابراہیمس پننِس قومَس سیت بحث کرنہٕ خیطرٕ۔ چونکہِ یِمہِ دلیلہ کرِ اَسہِ عطا حضرتِ ابراہیمس تِمی مُوکھ چھےٚ یِمہِ رٔژہ دلیلہ نَرْفَعُ دَرَجٰتٍ مَّنْ نَّشَآءُ اِنَّ رَبَّكَ حَكِیْمٌ عَلِیْمٌ حضرتِ ابراہیمہ سنٛز چھنہٕ کانٛہہ خصوصیت بلکہِ چھِہ اَسِ بُلند کران علمی و عملی درجہ، مرتبہ تِہند، یُسند اَسِ یژھان چھِہ۔ پزیاٹھِہ چُون پروردگار چھُو سیٹھاہ حکمتہٕ وول، سیٹھاہ زانَن وول۔ پریتھ اَکُسند حال تہٕ استعداد چھُو سُو پوٗرہ زانان تِمی مُوجُب چھُو پریتھ اَکس سُو کمال عطا کران یُس تَس مناسِب آسہِ وَوَهَبْنَا لَهٗۤ اِسْحٰقَ وَیَعْقُوْبَ بیہِ کور عطا اَسہِ حضرتِ ابراہیمس اَکھ فرزنداہ، حضرتِ اسحٰق، بیہِ اَمِس فرزندہ سُند فرزند حضرتِ یعقوب علیہم السلام كُلًّا هَدَیْنَا تِمن سارنی کوراَسہِ ہدایت۔ پزِس گُن ہاواسہِ وَتھ تِمن وَنُوْحًا هَدَیْنَا

وَمِنْ ذُرِّيَّتِهٖ دَاوٗدَ وَسُلَيْمٰنَ وَاَيُّوْبَ وَيُوْسُفَ وَمُوْسٰى وَ
هٰرُوْنَ ؕ وَكَذٰلِكَ نَجْزِى الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۸۴﴾ وَزَكَرِيَّا وَيَحْيٰى وَعِيْسٰى
وَاِلْيَاسَ ؕ كُلٌّ مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿۸۵﴾ وَاِسْمٰعِيْلَ وَالْيَسَعَ وَيُوْنُسَ
وَلُوْطًا ؕ وَكُلًّا فَضَّلْنَا عَلَى الْعٰلَمِيْنَ ﴿۸۶﴾ وَمِنْ اٰبَآئِهِمْ وَذُرِّيّٰتِهِمْ
وَاِخْوَانِهِمْ ۚ وَاجْتَبَيْنٰهُمْ وَهَدَيْنٰهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿۸۷﴾
ذٰلِكَ هُدَى اللّٰهِ يَهْدِىْ بِهٖ مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ ؕ وَلَوْ

---

مِنْ قَبْلُ بيهِ کوراسهِ هدايت نوحس يمن برونٺھ وَمِنْ ذُرِّيَّتِهٖ دَاوٗدَ وَسُلَيْمٰنَ وَاَيُّوْبَ وَيُوْسُفَ وَمُوْسٰى وَهٰرُوْنَ حضرتِ ابراهيمه سُندوی اولادو منزه کرُاسهِ هدايت، داوٗدس بيهِ حضرتِ سليمانَس بيهِ حضرتِ ايوبَس، بيهِ حضرتِ يوٗسفس، بيهِ حضرتِ موسىٰ اَس بيهِ حضرتِ هارونَس على نبينا وعليهم الصلوة والسلام وَكَذٰلِكَ نَجْزِى الْمُحْسِنِيْنَ يتھے پاٹھہِ چھِی اسِ مناسِب بدله تہ جزاء دِوان نيکوکار بندَن وَزَكَرِيَّا وَيَحْيٰى وَعِيْسٰى وَاِلْيَاسَ كُلٌّ مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ بيهِ کوٗر هدايت اَسهِ حضرتِ زکرياَس بيهِ حضرت عيسىٰ اَس بيهِ حضرتِ الياس تِم ساری آسِ رتيوٖ بندَ واندره وَاِسْمٰعِيْلَ وَالْيَسَعَ وَيُوْنُسَ وَلُوْطًا وَكُلًّا فَضَّلْنَا عَلَى الْعٰلَمِيْنَ بيهِ کوراسهِ هدايت حضرتِ اسمٰعيلس۔ بيهِ حضرتِ يسعَس بيهِ حضرتِ يوٗنسس، بيهِ حضرتِ لوٗطس۔ تِمن سارنی ديُت اسهِ فضيلت نبوتہ سيت تِمہ وقتہ کين عالمکين لوٗکن پيٹھ وَمِنْ اٰبَآئِهِمْ وَذُرِّيّٰتِهِمْ وَاِخْوَانِهِمْ بيهِ۔ يهند يو ماليو، بُڈ بوٗ اندره بيهِ اولادو اندره بيهِ بايوٗ اندره تہِ کوراسهِ وارِيهَن هدايت دِمَن حقس کُن۔ وَاجْتَبَيْنٰهُمْ وَهَدَيْنٰهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ بيهِ کرِ اسهِ تِم ساری بر گزيده تہ مقبول۔ بيهِ کوراسهِ تِمن هدايت سيزِ ه وتہِ کُن يعنی دين حقس کُن ذٰلِكَ هُدَى اللّٰهِ يَهْدِىْ بِهٖ مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ يوٗ ہےَ دين يتھہ کُن تِمن هدايت کرنه آوَ۔ يوٗ ہے گوٗ خُدايه سُند هدايت۔ اتھہ کُن چھو الله تعالىٰ وَتھہ هاوان تِمنِ يژهان چھو پنه نيو بندوٗ اندره اتھَہ کُن هاوے يهِ وتھہ الله تعالىٰ اَن سارنی لوٗکن مگر بعضيو کرُ نه يهِ وَتھ اختيار۔ تِموَ ٹھهرِادِ خدايس شريک۔ شِرک چھو الله تعالىٰ اَس تيُتھہ

أَشْرَكُوا لَحَبِطَ عَنْهُم مَّا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿٨٨﴾ أُولَٰٓئِكَ الَّذِينَ آتَيْنَاهُمُ الْكِتَابَ وَالْحُكْمَ وَالنُّبُوَّةَ ۚ فَإِن يَكْفُرْ بِهَا هَٰٓؤُلَآءِ فَقَدْ وَكَّلْنَا بِهَا قَوْمًا لَّيْسُوا بِهَا بِكَافِرِينَ ﴿٨٩﴾ أُولَٰٓئِكَ الَّذِينَ هَدَى اللَّهُ ۖ فَبِهُدَاهُمُ اقْتَدِهْ ۗ قُل لَّآ أَسْأَلُكُمْ عَلَيْهِ أَجْرًا ۖ إِنْ هُوَ إِلَّا ذِكْرَىٰ لِلْعَالَمِينَ ﴿٩٠﴾ ع

---

ناپسند۔ عام لوکن ہنز کیاہ چھہِ کتھی۔ وَلَوْ أَشْرَكُوا لَحَبِطَ عَنْهُم مَّا كَانُوا يَعْمَلُونَ ہرگاہ بفرضِ محال تِم حضراتِ انبیاء تہِ نعوذ باللہ شرک انہ ہَن خدایس ضرور سپدہ ہَن ضایع تمہ سارے رژہ کامہِ یمہِ تِم کران آسِ امہِ شرکہ وجہہ۔ أُولَٰٓئِكَ الَّذِينَ آتَيْنَاهُمُ الْكِتَابَ وَالْحُكْمَ وَالنُّبُوَّةَ یِم حضراتِ انبیاء یمن ہنز ذکر کرنہ آیہ تمِ گئے تِم یمن اَسہِ مجموعی طریقہِ کتاب شریعت تہ نبوّت عطا کٔر فَإِن يَكْفُرْ بِهَا هَٰٓؤُلَآءِ فَقَدْ وَكَّلْنَا بِهَا قَوْمًا لَّيْسُوا بِهَا بِكَافِرِينَ پس اگر نظیر مُوجود آسِتہ یِم مکہِ لُوکھ اتھ تُہندِس نبوتس انکار کرن، کرتن، تمیُک مہ بَرو تُہہ کانہہ غم توہہِ چھونہِ تہ کینہہ۔ کیازہ پزپاٹھ اَسہِ چھو اَمہِ خیطرہ مُقرر کرمژ اکھ جماعتھاہ یِم نہ ہرگز اَتھہ نبوتس تہندِس انکار کرن۔ بلکہ زانن اَمہِ نعمتچ پوٗر قدر۔ تِم گے مہاجرِ تہ انصار۔ بیہِ تِمن ہندِ پیرو قیامتس تام أُولَٰٓئِكَ الَّذِينَ هَدَى اللَّهُ فَبِهُدَاهُمُ اقْتَدِهْ یِم حضراتِ انبیاء گے تِم بندگانِ خاص یِمن اللہ تعالیٰ اَن دُشمن ہنزن کتھن پیٹھ صبر کرنس کُن ہدایت کور۔ پس تہنزی وَتہِ پکِو تُہہ تہِ صبر کرنس اندر قُل لَّآ أَسْأَلُكُمْ عَلَيْهِ أَجْرًا یہِ تہِ فرماوِیوٗ کھ تُہہ یا رسُول اللہ ای لُوکو بوٗ چھوس نہ منگان توہہِ اَمہِ تبلیغہ تہ رہنمائی خیطرہ کانہہ مزوریاہ۔ بلکہ چھُسوہ بوٗ بے غرض نصیحت کران إِنْ هُوَ إِلَّا ذِكْرَىٰ لِلْعَالَمِينَ یہِ قرآن مجید چھونہ مگر عالمین ہندہ خیطرہ بوڈ وعظ تہ نصیحت، یمکہِ ماننہ سیت توہی بوڈ فائیدہ تہ نفع چھوہ۔ نہ ماننہ سیت توہی سخت نقصان چھوہ۔ اکھ یہُودیاہ اکھ آو نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم ہندِس خدمتس اندر۔ تمی ہیوت تِمن سیئت مذہبی گفتگو کرن تتھہ اندر اوس سو تتھ کتھ کران جوشس اندر لوگ دِپنہِ اللہ تعالیٰ اَن چھونہ از

وَمَا قَدَرُوا اللّٰهَ حَقَّ قَدْرِهٖٓ اِذْ قَالُوْا مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ عَلٰى بَشَرٍ مِّنْ شَيْءٍ ؕ قُلْ مَنْ اَنْزَلَ الْكِتٰبَ الَّذِيْ جَآءَ بِهٖ مُوْسٰى نُوْرًا وَّ هُدًى لِّلنَّاسِ تَجْعَلُوْنَهٗ قَرَاطِيْسَ تُبْدُوْنَهَا وَتُخْفُوْنَ كَثِيْرًا ۚ وَعُلِّمْتُمْ مَّا لَمْ تَعْلَمُوْٓا اَنْتُمْ وَلَآ اٰبَآؤُكُمْ ؕ قُلِ اللّٰهُ ۙ ثُمَّ ذَرْهُمْ فِيْ

---

تام کانہہ کتابے نازِل کرمژ۔ اتی سپدِ یم آیاتِ کریمہ نازل وَمَا قَدَرُوا اللّٰهَ حَقَّ قَدْرِهٖٓ اِذْ قَالُوْا مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ عَلٰى بَشَرٍ مِّنْ شَيْءٍ بیہ کرنہ تمو منکرِ وخدایہ سنز کانہہ قدر۔ اژھہ قدر کرنِ شوبہ ہا۔ کیازِہ تموّ وون اللہ تعالیٰ اَن چھنہ ناز لےٗ کُر مژ کانسہِ بشرس پیٹھ پنن کانہہ کتاباہ۔ یہِ وُنّ گو خدایس نسبت بے قدری کرنِ۔ کیازِہ امہِ سیت چھوٗ لازم یوان نبوتس اِنکار کرن یُس نبوتس اِنکار کرِہ تم زون اللہ تعالیٰ سُند فرمان اَپزٕ نعوذ باللہ۔ پزٕس تصدیق تہٕ تسلیم کرُن چھوٗ واجب تمی سیت چھہٕ یوان خدایہٕ سنز قدر کرنہٕ۔ لہٰذا تموّ تصدیق وتسلیمہ بدل تکذیب وانکار کور۔ تموّ کر بے قدری یہٕ گو امیک تحقیقی جوابٕ۔ امہِ پتہٕ چھوٗ اللہ تعالیٰ فرماوان امیک اِلزامی جواب قُلْ مَنْ اَنْزَلَ الْكِتٰبَ الَّذِيْ جَآءَ بِهٖ مُوْسٰى تہٕ پرژھتو کھ ای یہودو حضرتِ موسیٰ یُوسہ کتاب ہیتھ آو یعنی تورات سوٗ کمہ کُر نازِل نُوْرًا وَّ هُدًى لِّلنَّاسِ تیچ کیفیت یہِ چھ کہ سوٗ بذاتِ خود نُورک پاٹھہِ واضح تہٕ رُوشن تمن لوگن ہندہ ہدایتہ خیطرہ سوٗ سوٗزنہ آیہٕ تمن لوکن ہندہ خیطرہ چھوٗ سوٗ بوڈ ہدایت تَجْعَلُوْنَهٗ قَرَاطِيْسَ یُوسہ کِتاب تُہہ پننہ نیو نفسانیِ اغراضو موکھہ وَرقہ وَرقہ کروٗن تُبْدُوْنَهَا وَتُخْفُوْنَ كَثِيْرًا یُس وَرقاہ پننہ مطلب براری خیطرہ چھوہ خوش کران۔ سوٗ چھوہ ہاوان تہٕ ظاہر کران۔ کھٹتھ تہٕ پوشیدہ چھوِہ تھاوان تمہ منزہ واریاہ حِصہ۔ یتھہ منز تُہندِس مطلبس خلاف چھوکینہہ آسان مثلِ نعتِ پیغمبر آخر الزمان صلی اللہ علیہ وسلّم وَعُلِّمْتُمْ مَّا لَمْ تَعْلَمُوْٓا اَنْتُمْ وَلَآ اٰبَآؤُكُمْ بیہِ اووہ تُہہ پچھ ناونہ تمہِ توراتکہ ذریعہ سوٗ علم یُس۔ نہ زانہوتُہہ نہ تُہندِ مالِ تہٕ بڈِبب سو تورات نازِل سپدنہ بُرونٹھ قُلِ اللّٰهُ یوٗرے فرماوِیوٗ کھ تُہہ کہ اللہ تعالیٰ نے کُر سوٗ کتاب نازِل لہٰذا کمہِ بُتھہِ چھوِہ توہہ یہِ وَنان کہ اللہ تعالیٰ اَن چھنہ کانہہ کِتابے نازِل کُر مژ ثُمَّ ذَرْهُمْ فِيْ خَوْضِهِمْ يَلْعَبُوْنَ یہِ جواب بوٗوز ناونہ پتہٕ تراویو کھ تم پننہ نین شُغلن منز۔ اَپزن کتھن تہٕ

خَوْضِهِمْ يَلْعَبُوْنَ ﴿٩١﴾ وَهٰذَا كِتٰبٌ اَنْزَلْنٰهُ مُبٰرَكٌ مُّصَدِّقُ الَّذِيْ بَيْنَ يَدَيْهِ وَلِتُنْذِرَ اُمَّ الْقُرٰى وَمَنْ حَوْلَهَا وَالَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ يُؤْمِنُوْنَ بِهٖ وَهُمْ عَلٰى صَلَاتِهِمْ يُحَافِظُوْنَ ﴿٩٢﴾ وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا اَوْ قَالَ اُوْحِيَ اِلَيَّ وَلَمْ يُوْحَ

---

بیهوده کامین سیت روزن تم مشغول۔ توہہ پیٹھ یہ فرض اُوس تہ اُنوہ توہہ بجاوئن مہ بر وِتھہ کانہہ فکر بوبوزہ پانے تمن سیت وَهٰذَا كِتٰبٌ اَنْزَلْنٰهُ مُبٰرَكٌ مُّصَدِّقُ الَّذِيْ بَيْنَ يَدَيْهِ یتھہ پاٹھہ تورات اسی نازِل کورمُت اُوس۔ تِتھے پاٹھہ چھوٗیہ قرآنِ مجید تہ کتابہ یُوسہ اسی نازِل کٔر توہہ پیٹھہ یارسُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم۔ یُوسہ خیر و برکژ کتاب چھہ۔ یُس اکھاہ تتھہ پڑھ کرِہ۔ تمہِ مؤجب عمل کرِہ تُسندہ خیطرہ چھوٗ فلاحِ دارین۔ یہ کتاب یعنی قرآن مجید چھوٗ تصدیق کرہ ؤن تمن کتابن یمہ امہِ برونٹھہ چھہ نازِل کرنہ آمژہ۔ لہذا چھوٗیہ قرآن مجید دویو کھو خیطرہ نازِل کورمُت۔ اکھ مخلوقن ہندِہ نفعہ خیطرہ بیہ تمن کتابن ہندہ تصدیق کرنہ خیطرہ کہ تمہِ کتابہ چھہ بے شک خدایہ سندی طرفہ نازِل کرنہ آمژہ وَلِتُنْذِرَ اُمَّ الْقُرٰى وَمَنْ حَوْلَهَا بیہ یُتھہ تُہہ خصوصیتہ سان کھوژہ ناویو کھ مکہ شریفک لُوکھ۔ بیہ تم اتھہ اندِہ چھہِ تمام عالمک لُوکھ کیازہ بیس جایہ چھہِ اللہ تعالیٰ فرماوان لِيَكُوْنَ لِلْعٰلَمِيْنَ نَذِيْرًا یُتھہ سُو عالمہ کین لُوکن کھوژہ ناوہ وَالَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ يُؤْمِنُوْنَ بِهٖ ساری لُوکھ اگرچہ تُہندہ اَنذارہ تہ بیم کرنہ سیت ایمان اَن نہ لیکن یمن لُوکن آخرتژ پور پڑھ چھہ تم چھہِ اتھ قرآن مجیدس پڑھ کران وَهُمْ عَلٰى صَلَاتِهِمْ يُحَافِظُوْنَ بیہ چھہِ تم ایمان اَنتھہ پتہ نین نمازن پیٹھہ ڈاڈ کران۔ پابندی سان پانژوَے وقت پورہ ادا کران۔ کیازِہ ایمان واعتقادس سیت یلہِ عمل تہ مکمل آسہ تلہِ چھہ عذابہ نِشہ نجات لبہ نژ امید وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا بیہ کُس اکھاہ چھوٗ ژ ظالِم تس شخصہ سندہ خوتہ تم اپز نوٗ روو معبوٗدِ بر حقس پیٹھہ نبوتس انکار کرنہ سیت یتھہ پاٹھہِ تموٗیہو دو کور تموٗ دوپ مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ عَلٰى بَشَرٍ مِّنْ شَيْءٍ اللہ تعالیٰ ان کورنہ کانسہِ بشرس پیٹھہ کہنی نازِل اَوْ قَالَ اُوْحِيَ اِلَيَّ وَلَمْ

اِلَيْهِ شَيْءٌ وَّمَنْ قَالَ سَاُنْزِلُ مِثْلَ مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ ؕ وَلَوْ تَرٰٓى اِذِ
الظّٰلِمُوْنَ فِيْ غَمَرٰتِ الْمَوْتِ وَالْمَلٰٓئِكَةُ بَاسِطُوْٓا اَيْدِيْهِمْ ۚ اَخْرِجُوْٓا
اَنْفُسَكُمْ ؕ اَلْيَوْمَ تُجْزَوْنَ عَذَابَ الْهُوْنِ بِمَا كُنْتُمْ تَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ
غَيْرَ الْحَقِّ وَكُنْتُمْ عَنْ اٰيٰتِهٖ تَسْتَكْبِرُوْنَ ﴿۹۳﴾ وَلَقَدْ جِئْتُمُوْنَا
فُرَادٰى كَمَا خَلَقْنٰكُمْ اَوَّلَ مَرَّةٍ وَّتَرَكْتُمْ مَّا خَوَّلْنٰكُمْ وَرَآءَ ظُهُوْرِكُمْ ۚ
وَمَا نَرٰى مَعَكُمْ شُفَعَآءَكُمُ الَّذِيْنَ زَعَمْتُمْ اَنَّهُمْ فِيْكُمْ شُرَكٰٓؤُا ؕ

يُوْحَ اِلَيْهِ شَيْءٌ نتہ کورُن پنِنہ حقہ دعویٰ نبوت۔ ونن مہ گُن چھُوو حی یوان نازِل کرنہ حالانکہِ تس گُن اوس نہ کانہہ وحیاہ نازِل سپدان مثل مسیلمہ کذاب وغیرہ وَّمَنْ قَالَ سَاُنْزِلُ مِثْلَ مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ تتھے پاٹھہ کُنہہ چھُو یُتھ ظالم تس شخصہ سندِہ خوتہ یُم دوپ بوتہِ ہیکہ نازِل کٔرِ تھ تہ لُوکن نِشہِ پیش کٔرِ تھ تتھہ پاٹھِہ یتھہ پاٹِ خدا چھُو نازِل کران۔ کانہ اکھاہ چھُونہ یمِن لُوکن ہندِہ خوتہ یُتھ ظالم وَلَوْ تَرٰٓى اِذِ الظّٰلِمُوْنَ فِيْ غَمَرٰتِ الْمَوْتِ وَالْمَلٰٓئِكَةُ بَاسِطُوْٓا اَيْدِيْهِمْ یمن ظالمن ہُند حال چھُو یہِ کہِ اگرو چھکھہ ژہ سُو وقت یمہِ ساتہ یم ظالم آسن موتہ چہ سختی اندر مُبتلا، رُوح کڈہ ونِ ملایک آسن پننِ اتھہ مُژہ راوت تمن ظالمن کن ونان۔ اَخْرِجُوْٓا اَنْفُسَكُمْ ای ظالمو جلد پہٕن کڈیوٗ کھ پننِ زُوپنہ نیو پانو اندرہ اَلْيَوْمَ تُجْزَوْنَ عَذَابَ الْهُوْنِ بِمَا كُنْتُمْ تَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ غَيْرَ الْحَقِّ وَكُنْتُمْ عَنْ اٰيٰتِهٖ تَسْتَكْبِرُوْنَ ازکِ دُوہہ کیا ایہِ تو ہہِ مَرنس سیتی سزا دِنہ۔ خواری ہندِہ عذابہ سیت۔ کیازِہ تُہہ آسِوہ ناخدائس نسبت تہٕ کتھہ لاگان یمہِ بالکل اَپزِہ آسہ آسان۔ بیہِ آسِوہ تُہہ تہندِ آیات ماننہ نِشہ تہ تسلیم کرنہ نِشہ تکبر کران وَلَقَدْ جِئْتُمُوْنَا فُرَادٰى كَمَا خَلَقْنٰكُمْ اَوَّلَ مَرَّةٍ یمہِ دوہہ قیامت سپدہ تمہ دُوہہ فرماوِکھ اللہ تعالیٰ آوہ تُہہ اَسہ نِشہ پتو لاکہ۔ اکھہ اکھہ تنِ تنہا۔ یارن تہ مددگارن ورای۔ یتھہ پاٹھِہ اَسہِ تُہہ گوڈنچہ لٹہِ تنہا دُنیاء س اندر پیدہ کرمتِ آسِوہ تنِ تہ چھٔنی۔ نیتھہ نی تہ ننہ واری وَّتَرَكْتُمْ مَّا خَوَّلْنٰكُمْ وَرَآءَ ظُهُوْرِكُمْ بیہِ ترووہ تہِ سورُوی یہِ اَسہِ توہہِ دیتمُت اُوس پانس پتھہ گُن۔ وَمَا نَرٰى مَعَكُمْ شُفَعَآءَكُمُ الَّذِيْنَ

لَقَدْ تَّقَطَّعَ بَيْنَكُمْ وَضَلَّ عَنْكُمْ مَّا كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ ﴿٩٤﴾ ع
إِنَّ اللّٰهَ فٰلِقُ الْحَبِّ وَالنَّوٰى ۖ يُخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ وَمُخْرِجُ
الْمَيِّتِ مِنَ الْحَيِّ ۚ ذٰلِكُمُ اللّٰهُ فَأَنّٰى تُؤْفَكُوْنَ ﴿٩٥﴾ فَالِقُ الْإِصْبَاحِ ۚ وَ
جَعَلَ الَّيْلَ سَكَنًا وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ حُسْبَانًا ۚ ذٰلِكَ تَقْدِيْرُ الْعَزِيْزِ
الْعَلِيْمِ ﴿٩٦﴾ وَهُوَ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ النُّجُوْمَ لِتَهْتَدُوْا بِهَا فِيْ
ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَالْبَحْرِ ۗ قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ ﴿٩٧﴾

---

زَعَمْتُمْ اَنَّهُمْ فِيْكُمْ شُرَكٰٓؤُا بیہِ چھنہِ اَسِ وچھان توہہِ سیت تِم لُوک یِم توہہِ پننہِ گُمان زانان آسِو کھ پننہ
نین کامین اندر خدایہِ سندِ شریک کٔنیو چھوہِ تِم۔ لَقَدْ تَّقَطَّعَ بَيْنَكُمْ پزپاٹھ چھلہ گٔیہ تِمن سارنِی تعلقاتن
یِم توہہِ پانہ وانِ آسِ وَضَلَّ عَنْكُمْ مَّا كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ ضایع سپُد توہہِ نِشہ تہٕ سورُوی یہِ توہہِ گُمانہ
اُوس کہ معبُودان باطِل کرن اَسہِ شفاعت إِنَّ اللّٰهَ فٰلِقُ الْحَبِّ وَالنَّوٰى پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھُ پھاٹہ
ڈُن پریتھ پھلِس تہٕ آنچہ یُس زمینس منزوونہ یوان چھ يُخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ وَمُخْرِجُ الْمَيِّتِ مِنَ الْحَيِّ
سُوی چھُ کڈان زِندس مُردس نِشہ، مُردس زندس نِشہ ذٰلِكُمُ اللّٰهُ فَأَنّٰى تُؤْفَكُوْنَ یُہے کیاہ گو معبُود
برحق پَس کتھ پاٹھِ چھوہِ تُہہ تَس پڑھ کرنہ نشہ گُریز کران تہٕ ژلان فَالِقُ الْإِصْبَاحِ سُوی چھُ صُبح پھولہ
راوہڈُن وَجَعَلَ الَّيْلَ سَكَنًا وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ حُسْبَانًا بیہِ کر رات تِمی آرامک وقت کہ ساری چھہِ
تھکِت ژھینِتھ شونگنہ سیت آراماہ حاصِل کران۔ بیہِ کورُن آفتاب تہٕ زُونہِ ہُند رفتار حسابہ موجب
یمہِ سیت وقتن ہندِس ضبط ور بطس اَندر آسانی چھہ سپدان ذٰلِكَ تَقْدِيْرُ الْعَزِيْزِ الْعَلِيْمِ یہِ چھُ اندازہ
تہٕ کاریگری، تَس خدایہِ سنزیُس غالب تہٕ سورُوی زانن وول چھُ۔ وَهُوَ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ النُّجُوْمَ
لِتَهْتَدُوْا بِهَا فِيْ ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَالْبَحْرِ بیہِ چھُ سُو پروردگار سُوی یِم ستارہ کرِ پیدہ یُتھ تُہہ وتھ لبُوَنہِ گٹن
اندر خشکی ہنزن وتن تہٕ سمندرنَ اندر قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ بتحقیق اَسہِ کرہِ پننہ توحیدہ
چہِ۔ دلیلہ بیان ویژھناوتھ تِمن لُوکن ہندِہ خیطرہ یِم زانان چھہِ رُت کیاہ چھُ تہٕ تچھ کیاہ چھُ وَهُوَ

وَهُوَ الَّذِيْٓ اَنْشَاَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ فَمُسْتَقَرٌّ وَّمُسْتَوْدَعٌ ؕ
قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّفْقَهُوْنَ ﴿٩٨﴾ وَهُوَ الَّذِيْٓ اَنْزَلَ مِنَ
السَّمَآءِ مَآءً ۚ فَاَخْرَجْنَا بِهٖ نَبَاتَ كُلِّ شَيْءٍ فَاَخْرَجْنَا مِنْهُ خَضِرًا
نُّخْرِجُ مِنْهُ حَبًّا مُّتَرَاكِبًا ۚ وَمِنَ النَّخْلِ مِنْ طَلْعِهَا قِنْوَانٌ دَانِيَةٌ
وَّجَنّٰتٍ مِّنْ اَعْنَابٍ وَّالزَّيْتُوْنَ وَالرُّمَّانَ مُشْتَبِهًا وَّغَيْرَ
مُتَشَابِهٍ ؕ اُنْظُرُوْٓا اِلٰى ثَمَرِهٖٓ اِذَآ اَثْمَرَ وَيَنْعِهٖ ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكُمْ

---

اَلَّذِيْٓ اَنْشَاَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ بيہ گو سو پروردگار سوي آھي جنهن توهان ساري پيدا ڪري واکسي شخص نشه سوگو حضرت آدم فَمُسْتَقَرٌّ وَّمُسْتَوْدَعٌ پس ڪرن تهنده خيطره اکه قرار چ جاياه۔ سوگو ماجه هندر رحم۔ بچه دانِ۔ تتھ منزکنهه ڪالاه روزت چھو انسان دنياء ک اثر قبول ڪران بيه ڪرن امانت تھاوِنچ اکه جاياه سوگيه قبر تتھ منزکينه ڪالاه روزت چھو آخر تک اثر قبول ڪران قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّفْقَهُوْنَ پڙ پاٹ اسه ڪر آيات پنن بيان مرژراوتھ تمن لوکن هنده خيطره يم سمجھدار چھ۔ وَهُوَ الَّذِيْٓ اَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَخْرَجْنَا بِهٖ نَبَاتَ كُلِّ شَيْءٍ بيه گو سو پرودگار سوي يم رود ترو و آسمانکه طرفه پس کھار اسه تمه روده سيت زمينه منزه پريتھ قسمک كُلِّ فَاَخْرَجْنَا مِنْهُ خَضِرًا پس کوڈ اسه تمه زمينه منزه سبز سبز شاخ نُّخْرِجُ مِنْهُ حَبًّا مُّتَرَاكِبًا تمه منزه چھو اس ڪڈان لوکٹ لوکٹ دانه يم اکه اکس پيٹھ آسان چھ وَمِنَ النَّخْلِ مِنْ طَلْعِهَا قِنْوَانٌ دَانِيَةٌ بيه کڈ اسه خضره کليو اندره تمن هنديو پوشه ٹوريو اندره خضرن هند گرن يم بون گن نمے مت آسان چھ وَّجَنّٰتٍ مِّنْ اَعْنَابٍ وَّالزَّيْتُوْنَ وَالرُّمَّانَ مُشْتَبِهًا وَّغَيْرَ مُتَشَابِهٍ بيه کھار اسه تمي روده سيت دچھ باغ۔ بيه زيتون باغ۔ بيه دين باغ يم اکه اکس هي چھ اکه اعتباره اکه اکس بدل چھ بيه اعتباره اُنْظُرُوْٓا اِلٰى ثَمَرِهٖٓ اِذَآ اَثْمَرَ وَيَنْعِهٖ واره وچھو پريتھ کله کس ميوس گن۔ يله تتھ ميوه لگان چھو تمه ساته چھو آسان بدمزه ته ناقابل استعمال تمه پته يله سو ميوه پپان چھو تمه ساته چھو آسان مزه دار سيٹھاه فائيده مند۔ امه منزه ته چھ نشان خدايه سنز

لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ﴿٩٩﴾ وَجَعَلُوْا لِلّٰهِ شُرَكَآءَ الْجِنَّ وَخَلَقَهُمْ
وَخَرَقُوْا لَهٗ بَنِيْنَ وَبَنٰتٍۢ بِغَيْرِ عِلْمٍ ؕ سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يَصِفُوْنَ ﴿١٠٠﴾ ع
بَدِيْعُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ اَنّٰى يَكُوْنُ لَهٗ وَلَدٌ وَّلَمْ تَكُنْ لَّهٗ
صَاحِبَةٌ ؕ وَخَلَقَ كُلَّ شَيْءٍ ۚ وَهُوَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ﴿١٠١﴾
ذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبُّكُمْ ۚ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۚ خَالِقُ كُلِّ شَيْءٍ فَاعْبُدُوْهُ ۚ وَهُوَ

---

کمالِ قدرت اِنَّ فِیْ ذٰلِکُمْ لَاٰیٰتٍ لِّقَوْمٍ یُّؤْمِنُوْنَ وچھوِ پز پاٹھِ تِمَن چیزن اندر چھےٚ توحید چہ بجہ بجہِ دَلیلہ باایمانَن ہندِ خیطرٕ وَجَعَلُوْا لِلّٰہِ شُرَکَآءَ الْجِنَّ وَخَلَقَھُمْ وَخَرَقُوْا لَہٗ بَنِیْنَ وَبَنٰتٍۢ بِغَیْرِ عِلْمٍ بیہ ٹھہراوِہ لُوکو شیطان خدایہ سندِ شریک حالانکہ تِم تہِ چھےٚ کرمتِ اللہ تعالیٰ نَئ پیدٕ۔ یلہ نہ پیدٕ کرٕ وُن تَس ورای کانہہ چھُو۔ معبُود کتھہ پاٹھِ ہیکہِ تَس ورای کانہہ آستھ۔ بیہ ٹھہراوُ لُوکو خدایس نچوٕ تہِ کورِ زانِنہ تہ پچھانہ ورای ازبس جہل ونادانی سُبْحٰنَہٗ وَتَعٰلٰی عَمَّا یَصِفُوْنَ منزہ تہِ پاک چھُو سُو پروردگار تِمَو سارِ وی کتھو نشِہ۔ نہ چھُوس شریک کانہہ نہ چھس نچُو تہِ نہ چھس کورِ۔ بیہ چھُو سیٹھاہ بُلند تہ بالا تِمَو کتھو نشِہ یِمہ تَس کُن لُوکھ لاگان چھِ بے دلیل بَدِیْعُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ سُو چھُو موجدِ تہ گوڈٕ پیدٕ کرٕ وُن آسمانن تہ زمین ہنُد تَس ورای چھُو نہ آسمان وزمینگ موجدِ کُنہی۔ لہذا شوبہِ سُوی مُعبودِ برحق اَنّٰی یَکُوْنُ لَہٗ وَلَدٌ وَّلَمْ تَکُنْ لَّہٗ صَاحِبَۃٌ تَس کتھہ پاٹھِ آسَن اولاد۔ حالانکہ تَس چھےٚنہ آسمٕژ آشنی زانہہ وَخَلَقَ کُلَّ شَیْءٍ تمی کور سورُوی پیدٕ۔ یتھہ پاٹھ آسمان وزمین پیدٕ کرِن تِتھے پاٹھِ کرِن تِم تہِ پیدٕ یِم تُہہ تہندِ اولاد یا شریک چھُوکھ ٹھہراوان۔ بنیا کہ خالقس آسَن مخلوق شریک۔ پتھہ کیاہ فرق روزِہ خالقس تہ مخلُوقس منز وَھُوَ بِکُلِّ شَیْءٍ عَلِیْمٌ بیہ چھُو سُوی پرِیتھہ چیزاہ پُورٕ پُورٕ زانہٕ وُن ذٰلِکُمُ اللّٰہُ رَبُّکُمْ لَآ اِلٰہَ اِلَّا ھُوَ یُہُے معبودِ برحق کیا چھُو تُہند پروردگار۔ کانہہ معبُوداہ چھُونہ تَس ورای خَالِقُ کُلِّ شَیْءٍ فَاعْبُدُوْہُ وَھُوَ عَلٰی کُلِّ شَیْءٍ وَّکِیْلٌ سارِہ کُوی پیدٕ کرٕ وُن چھُو سُوی لہٰس کرِو تہنزی یاژ عبادت تہ بندگی۔ سُوی چھُو پرِیتھہ چیزک کارساز۔ تَس ورای چھُونہ کانہہ تہِ کارساز حقیقی۔ لہذا اگر تسنزی یاژ عِبادت کرِو

عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ وَّكِيْلٌ ﴿۱۰۲﴾ لَا تُدْرِكُهُ الْاَبْصَارُ ۫ وَهُوَ يُدْرِكُ الْاَبْصَارَ ۚ وَهُوَ اللَّطِيْفُ الْخَبِيْرُ ﴿۱۰۳﴾ قَدْ جَآءَكُمْ بَصَآئِرُ مِنْ رَّبِّكُمْ ۚ فَمَنْ اَبْصَرَ فَلِنَفْسِهٖ ۚ وَمَنْ عَمِيَ فَعَلَيْهَا ؕ وَمَآ اَنَا عَلَيْكُمْ بِحَفِيْظٍ ﴿۱۰۴﴾ وَكَذٰلِكَ نُصَرِّفُ الْاٰيٰتِ وَلِيَقُوْلُوْا دَرَسْتَ

---

سُو واتناوِ وہ سیٹھاہ نفع تہٕ فائیدہ۔ بین ہنز عبادت کرِتھ کیاہ فائدہ نیو۔ تمِ کیاہ دنوہ۔ تمَن اَتھہِ کیاہ چھُو۔ خالق تہٕ چھُو سُوی۔ علیم تہٕ چھُو سُوی۔ وکیل تہٕ چھُو سُوی۔ تمِ ساری چیز چھہِ منگان کہ معبوٗد تہٕ گرٛشھہِ سُوی آسُن۔ تہنٛدوی شان چھُو کہِ لَا تُدْرِكُهُ الْاَبْصَارُ وَهُوَ يُدْرِكُ الْاَبْصَارَ وَهُوَ اللَّطِيْفُ الْخَبِيْرُ تس ہیکن نہ وچھِت۔ وچھنہ پتہٕ حقیقت دریافت کرِتھ، لُوکن ہنزہ اچھہِ دنیاہ س اندر۔ آخرتس اندر وچھَن تس باایمان جنتس اَندر۔ مگر حقیقت تہٕ ماہیّت سپدہ نہ تمَن تہٕ دریافت۔ سُو چھُو پانہ تمَن سارنی اَچھن تہٕ اَچھہِ والین ڈُچھان تہٕ تہنز حقیقتِ تہٕ ماہیّت زانان۔ یمہِ اَچھہِ نہ تسند اِدراک کرِتھ ہیکان چھہ ساری چھہِ تمی پیدہ کرمت۔ تَس چھہ خبری کہ کُس چیز کتھہ چھُو میہ پیدہ کورمُت کمہ چیزچ کیاہ حقیقت چھہ۔ بعضی مفسرو فرمووکہ مخلوقن ہنزن اچھن منز چھُونہ یہ قوتھے کہِ تس کیاہ ہیکن وچھِتھ۔ مگر سُو چھو لطیف، ازراہِ لطف ومہربانی ہیکہِ سُو کانسہِ ہنزن اچھن اندر سُو قوت پیدہ کرت یمہِ سیت سُو تس وچھِتھ ہیکہِ۔ باایمانَ تہٕ کرہ جنتس منز سو قوت عطا یمہ سیت تمِ تہٕ وچھَن پنہ نس خدائس۔ سُو چھُو سارنی ڈُچھان۔ کیازِہ سُو چھُو خبیر۔ تَس چھہ خبرے کُس شخص کیاہ چھُو کمسنز حقیقت کیا چھہ قَدْ جَآءَكُمْ بَصَآئِرُ مِنْ رَّبِّكُمْ پزٕ پاٹھ واتژہ توہہِ نشہِ دلیلہ پنہ نس پروردگارہ سندہ طرفہ توحید ورسالتہ کِس حق آسنس پیٹھہ فَمَنْ اَبْصَرَ فَلِنَفْسِهٖ وَمَنْ عَمِيَ فَعَلَيْهَا وَمَآ اَنَا عَلَيْكُمْ بِحَفِيْظٍ پَس تمس شخصس تمَن دلیلن منز غور وفکر کرِنہ سیت حق تہٕ پوز درینٹھہ آو تمیُک فائیدہ چھُو تَس پانس۔ بیہ تمِ اُون لوگ تمَن دَلیلن کُن کوٗرُن نہ توجہ تہٕ نظر تمیُک ضرر تہٕ نقصان چھُو تَس پانس۔ بُو چھُس نہ توہہِ پیٹھ راچھہِ۔ مجبور کیاہ کرووہ بُو وارہ ڈُچھنس پیٹھہ وَكَذٰلِكَ نُصَرِّفُ الْاٰيٰتِ تتھے پاٹھہِ چھہِ اسِ توہہِ پھیر پھیر پنہ دلیلہ

وَلِنُبَيِّنَهُ لِقَوْمٍ يَعْلَمُونَ ﴿١٠٥﴾ اتَّبِعْ مَا أُوحِيَ إِلَيْكَ مِن رَّبِّكَ ۖ لَا إِلَٰهَ إِلَّا هُوَ ۖ وَأَعْرِضْ عَنِ الْمُشْرِكِينَ ﴿١٠٦﴾ وَلَوْ شَاءَ اللَّهُ مَا أَشْرَكُوا ۗ وَمَا جَعَلْنَاكَ عَلَيْهِمْ حَفِيظًا ۖ وَمَا أَنتَ عَلَيْهِم بِوَكِيلٍ ﴿١٠٧﴾ وَلَا تَسُبُّوا الَّذِينَ يَدْعُونَ مِن دُونِ اللَّهِ فَيَسُبُّوا اللَّهَ عَدْوًا بِغَيْرِ عِلْمٍ ۗ كَذَٰلِكَ زَيَّنَّا لِكُلِّ أُمَّةٍ عَمَلَهُمْ ثُمَّ

---

مختلف طریقو بیان کران۔ یُتھ تُہہ سارنی لُوکن واتناوِو۔ وَلِيَقُولُوا دَرَسْتَ تِمَن سپدَن زہ جماژ۔ تِموَ
اَندرہ ضدی تہ مُڈہ تِم دِپَن یِم پیغمبرن چھُو سبق پوٚرمُت کستاں نِشہِ۔ ورنہ یِم تھدِ مضامین کتھہ کِنۍ ہیکہِ
ہایہِ بیان کرتھہ وَلِنُبَيِّنَهُ لِقَوْمٍ يَعْلَمُونَ بیہِ یُتھ وارہ وضاحت گرُواَس زانَن والین ہندِہ خیطرہ۔ یعنی
سمجھدار تہ انصاف پسند لُوکن پیٹھہ سپدِہ واضح تہ روشن۔ تِمَن ژلَن ساری شک تہ شُبہات اتَّبِعْ مَا أُوحِيَ
إِلَيْكَ مِن رَّبِّكَ لَا إِلَٰهَ إِلَّا هُوَ وَأَعْرِضْ عَنِ الْمُشْرِكِينَ تُہہ روزِوپانہ پیروی کران تتھہ یہ توہہِ گُن
وحی چھُویِوان سوزنہ تُہندِس پروردگارہ سندِہ طرفہ یارسُول اللہ۔ اَتھہ منز چھُو بُوڈ چیز یہ اعتقاد تھاوُن کہ
کانہہ معبُود اہ چھُونہ تَس ذاتِ پاکَس ورایِ اَتھہ پیٹھہ قایم رُوزِتھہ۔ مہ کرِو کانہہ توجہ مُشرکن کُن کہ تِمن
کیاہ گو تِموِ اُون نہ ایمان وَلَوْ شَاءَ اللَّهُ مَا أَشْرَكُوا تِمیُک وجہ چھُوای کہِ ہرگاہ خدا یژھِہ ہا تِم لوک
اَنہن نہ شرِک وَمَا جَعَلْنَاكَ عَلَيْهِمْ حَفِيظًا بیہِ نہٕ کرِونہ اَسہِ تُہہ تِہندِ راچھہِ نگہبان وَمَا أَنتَ
عَلَيْهِم بِوَكِيلٍ بیہِ چھِوہ نہ تُہہ تِمَن ہندِ ذمہ دار تہ جواب دہی کرہ وِن۔ توہہِ چھُوہ مَتہِ فقط تِمن تبلیغ
کرُن سانِ پیغام واتناوَن وَلَا تَسُبُّوا الَّذِينَ يَدْعُونَ مِن دُونِ اللَّهِ اَی مُسلمانو تُہہ مہ آسِولیکہ ژاران،
بدونان۔ تِمن معبودانِ باطِلن یِمن یِم مُشرک معبُود برحق تراوِتھہ عبادت چھہِ کران۔ کیازہ تِمیُک
نتیجہ نیرہ فَيَسُبُّوا اللَّهَ عَدْوًا بِغَيْرِ عِلْمٍ تِم تہ ژارِن لیکہ معبُودِ برحقَس حدہ نِشہِ تجاوز کرِتھہ جہلہ تہ
بے علمی سبہ۔ كَذَٰلِكَ زَيَّنَّا لِكُلِّ أُمَّةٍ عَمَلَهُمْ اَسہِ چھُو یتھے پاٹھِہ پرتھہ کُنہِ جماعتَس پننہِ پننہِ کامہِ
زینت دُیو تمُت یتھہ پاٹھِہ تُہہ وچھان چھِوہ یتھہ دنیاءس منز کوم یتھے پاٹھِہ جاری۔ یہ دُنیا چھُونہ

إِلَىٰ رَبِّهِم مَّرْجِعُهُمْ فَيُنَبِّئُهُم بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿١٠٨﴾ وَأَقْسَمُوا
بِاللَّهِ جَهْدَ أَيْمَانِهِمْ لَئِن جَاءَتْهُمْ آيَةٌ لَّيُؤْمِنُنَّ بِهَا ۚ قُلْ
إِنَّمَا الْآيَاتُ عِندَ اللَّهِ ۖ وَمَا يُشْعِرُكُمْ أَنَّهَا إِذَا جَاءَتْ لَا
يُؤْمِنُونَ ﴿١٠٩﴾ وَنُقَلِّبُ أَفْئِدَتَهُمْ وَأَبْصَارَهُمْ كَمَا لَمْ يُؤْمِنُوا
بِهِ أَوَّلَ مَرَّةٍ وَنَذَرُهُمْ فِي طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُونَ ﴿١١٠﴾ ع
وَلَوْ أَنَّنَا نَزَّلْنَا إِلَيْهِمُ الْمَلَائِكَةَ وَكَلَّمَهُمُ الْمَوْتَىٰ وَ
حَشَرْنَا عَلَيْهِمْ كُلَّ شَيْءٍ قُبُلًا مَّا كَانُوا لِيُؤْمِنُوا إِلَّا أَن يَشَاءَ

---

دارالمكافات۔ بدلہ تہ سزا دِنگ گرہ ثُمَّ إِلَىٰ رَبِّهِم مَّرْجِعُهُمْ فَيُنَبِّئُهُم بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ تو پتہ ڇهو
ڄانسي پروردگار س ڏانهہ تن ساري رجوع ڪرڻ۔ سُو وٽس تن پائے تمہ سارڪوي يہ تم ڪران آس تو پتہ
ڏيکھ سزا۔ تھہ مہ برِ ڏڪانهہ غم وَأَقْسَمُوا بِاللَّهِ جَهْدَ أَيْمَانِهِمْ تمو منڪرو هاو سخت قسم خدايہ سند نهايت
زورہ سانِ کہِ لَئِن جَاءَتْهُمْ آيَةٌ لَّيُؤْمِنُنَّ بِهَا هرگاہ تمن نشہِ واتہ ڪانهہ فرمائيشي مُعجزہ تہ نشانہ تم اَنَ
ضرور تتھ ايمان۔ قُلْ إِنَّمَا الْآيَاتُ عِندَ اللَّهِ تُهہ فرماويوکھ جواب کہ ساري آيات ڇھ خدا اَيس
اَتھہ۔ ميہ اَتھہِ ڇهونہ ڪنهي۔ وَمَا يُشْعِرُكُمْ أَنَّهَا إِذَا جَاءَتْ لَا يُؤْمِنُونَ تو پتہ ڪُهہ چيز زانراوہ توهہ
يہ ڪتھ کہ هرگاسُو نشانہ تہ سُو مُعجزہ تہ تمن نشہِ واتہِ۔ تو پتہ تہ اَنَ نہ تم ايمان۔ اسہ ڇهہ اڃ خبر۔ وَنُقَلِّبُ
أَفْئِدَتَهُمْ وَأَبْصَارَهُمْ كَمَا لَمْ يُؤْمِنُوا بِهِ أَوَّلَ مَرَّةٍ وَنَذَرُهُمْ فِي طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُونَ تهندہِ ايمان نہ
انہ مُوکھہ پھرَ واسِ تہِ تهندِ دل تہ تهنزہ اَڇهہ تو پتہ سُو معجزہ وُڇهِت تہ انن نہ تمِ ايمان يتھہ پاٹھہ نہ ايمان
اُونڪھہ تہ پڑھہ ڪرکھہ اتھہ قرآنِ مجيد س گوڈنچہ لٹہِ۔ بيہ تراووکھ اسِ تمِ پننہ سرڪشي تہ گُمراهي اندر حيران
وَلَوْ أَنَّنَا نَزَّلْنَا إِلَيْهِمُ الْمَلَائِكَةَ وَكَلَّمَهُمُ الْمَوْتَىٰ وَحَشَرْنَا عَلَيْهِمْ كُلَّ شَيْءٍ قُبُلًا يهندہ عِنادو
سرڪشي هنز ڪيفيت ڇهہ يژهي کہِ هرگاہ اَسِ يهندہ فرمائشہِ مُطابق تمنِ کُن سوزوکھہ ملائيکھہ، بيہ هرگاہ يمن

اللّٰہُ وَلٰکِنَّ اَکۡثَرَھُمۡ یَجۡھَلُوۡنَ ﴿١١١﴾ وَکَذٰلِکَ جَعَلۡنَا لِکُلِّ نَبِیٍّ عَدُوًّا شَیٰطِیۡنَ الۡاِنۡسِ وَالۡجِنِّ یُوۡحِیۡ بَعۡضُھُمۡ اِلٰی بَعۡضٍ زُخۡرُفَ الۡقَوۡلِ غُرُوۡرًا ؕ وَلَوۡ شَآءَ رَبُّکَ مَا فَعَلُوۡہُ فَذَرۡھُمۡ وَمَا یَفۡتَرُوۡنَ ﴿١١٢﴾ وَلِتَصۡغٰۤی اِلَیۡہِ اَفۡـِٕدَۃُ الَّذِیۡنَ لَا یُؤۡمِنُوۡنَ بِالۡاٰخِرَۃِ وَلِیَرۡضَوۡہُ وَلِیَقۡتَرِفُوۡا مَا ھُمۡ مُّقۡتَرِفُوۡنَ ﴿١١٣﴾ اَفَغَیۡرَ

---

سیت مُردہ زندہ سپدت گَتھ کرن، بیہ ہر گاہ اَس ساری پوشیدہ مخلوقات تہنزن اچھن برونٹھ کنہِ جمع کروکھہ۔ مَّا کَانُوۡا لِیُؤۡمِنُوۡۤا اِلَّاۤ اَنۡ یَّشَآءَ اللّٰہُ وَلٰکِنَّ اَکۡثَرَھُمۡ یَجۡھَلُوۡنَ تو تہِ تِم ایمان اَنُن نہ پژھہ کرن نہ مگرے کانسہِ ہندِہ حقہ یژھہِ اللہ تعالیٰ۔ لیکن تِموٗ منزٕ چھہ اکثریت جاہلن تہ بے خبرن ہنز تِمن نہ حقیقت معلوم چھہ ایمان انہ نک چھُو نہ تِمن قصدی تہ ارادے۔ خوامخواہ چھِہ فرمایشی معجزہ طلب کران وَکَذٰلِکَ جَعَلۡنَا لِکُلِّ نَبِیٍّ عَدُوًّا شَیٰطِیۡنَ الۡاِنۡسِ وَالۡجِنِّ یتھہ پاٹھہِ تِم لوکھ تُہندِ دُشمن چھِہ یتھے پاٹھہِ کراسہِ پریتھہ پیغمبرس دُشمن اِنسان شیطان تہ تہ جن شیطانِ تہِ لہٰذا چھنہ یہ نَو کتھاہ کینہہ یُوۡحِیۡ بَعۡضُھُمۡ اِلٰی بَعۡضٍ زُخۡرُفَ الۡقَوۡلِ غُرُوۡرًا تِموٗ اندرہ بعضی شیطان بعضی کافرن انسان شیطانن پیچھِہ تہ مزہ دار کتھہ بطورِ وسوسہ دُھوکہ دِنہ خیطرہ دِلن منز تراوان آسِ۔ امہِ اندرہ چھُو مُرادکُفر چِہ تہ مُخالفتہ چِہِ کتھہ وَلَوۡ شَآءَ رَبُّکَ مَا فَعَلُوۡہُ فَذَرۡھُمۡ وَمَا یَفۡتَرُوۡنَ ہرگاہ یژھہِ ہاتُہند پروردگار تِم کرہ ہَن نہ یہ کوم یَعنی دُشمنی مگر تِم چھُو یوٗژھمت دوستن سیتِ دُشمن گاشس سیت گژھہ۔ پزٕس سیتِ اپز آسُن۔ تِہندس یژھنس منز چھہ بجہِ بجہِ حکمژ۔ لہٰذا امہ سپدن تُہند دِلِ مُبارک آزردہ یہنزٕ دُشمنی سیت۔ پَس تراویُو تھہ تِم لوکھ بیہِ یہ کینژھاہ تِم کران چھِہ دِنِس منز افترا پردازی اندرہ تمیُک غم مَہ برِوتھہ وَلِتَصۡغٰۤی اِلَیۡہِ اَفۡـِٕدَۃُ الَّذِیۡنَ لَا یُؤۡمِنُوۡنَ بِالۡاٰخِرَۃِ بیہِ چھِہ تِم شیطان یِمن کافرن ہندین دِلن اندر یِمہِ مُوکھہ وسوسہٕ تراوان یُتھہ تِمن لوکن ہندِ دل تِمن کُتھن گن پھرن۔ مایل سپدن تِمن نہ پُور پژھہ چھہ آخرتِچ۔ یَعنی اہلِ کِتاب یہود و نصاریٰ۔ کیازہ تِمنٕ پُور پژھہ آسہ ہا آخرتِچ تلہِ کرہ ہَن نہ نبی آخر الزمانس

اللّٰهِ اَبۡتَغِيۡ حَكَمًا وَّهُوَ الَّذِيۡۤ اَنۡزَلَ اِلَيۡكُمُ الۡكِتٰبَ مُفَصَّلًا ؕ وَالَّذِيۡنَ اٰتَيۡنٰهُمُ الۡكِتٰبَ يَعۡلَمُوۡنَ اَنَّهٗ مُنَزَّلٌ مِّنۡ رَّبِّكَ بِالۡحَقِّ فَلَا تَكُوۡنَنَّ مِنَ الۡمُمۡتَرِيۡنَ ﴿١١٤﴾ وَتَمَّتۡ كَلِمَتُ رَبِّكَ صِدۡقًا وَّعَدۡلًا ؕ لَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِهٖ ۚ وَهُوَ السَّمِيۡعُ الۡعَلِيۡمُ ﴿١١٥﴾ وَاِنۡ تُطِعۡ اَكۡثَرَ مَنۡ فِي الۡاَرۡضِ يُضِلُّوۡكَ عَنۡ سَبِيۡلِ اللّٰهِ ؕ

---

اِنکار وَلِيَرۡضَوۡهُ وَلِيَقۡتَرِفُوۡا مَا هُمۡ مُّقۡتَرِفُوۡنَ بیہ یُتھہ تمِ یہزن تِتھن پیٹھہ راضی گژھن۔ بیہ یُتھہ تم تہٕ لگن تِمے تِچھہ کامہِ کرنہِ یِم تمِ پانہ کران آسِ اَفَغَيۡرَ اللّٰهِ اَبۡتَغِيۡ حَكَمًا وَّهُوَ الَّذِيۡۤ اَنۡزَلَ اِلَيۡكُمُ الۡكِتٰبَ مُفَصَّلًا تُہہ فرماوُکھ یا رسول اللہ کہِ ای لُوکو توہہِ منز تہٕ میہ منز چھُو اختلاف میانہِ رِسالتک۔ بُو چھُس بحکم خدا پیغمبر آسنک دعویٰ کران۔ تُہہ چھِوہ اَتھہ اِنکار کران مگر اَحکم الحاکمین چھُو فیصلہ مِیانہِ حقہٕ دِیتُمت۔ کیازِہ میانِس اَتھہ دعویٰ اَس پیٹھہ چھہ بڈ دلیل یہِ قرآنِ مجید یُس بوڈ معجزہ چھُو۔ ہرگاہ تُہہ تو تہٕ مانونہ تہٕ کیازِہ تُہہ چھِوہ یژھان یہ خدائی فیصلہ کافی نہ زانتھ کیاہ ژھانڈن بُو بیاکھ فیصلہ کرہ دُناہ۔ حالانکہِ تمِ فرمووُپُن کامِل فیصلہ۔ تمِ کر نازِل توہہِ کُن یہ بڈ کِتاب یمکِ مضامین بالکل صاف صاف بیان کرنہ آمتِ چھہِ وَالَّذِيۡنَ اٰتَيۡنٰهُمُ الۡكِتٰبَ يَعۡلَمُوۡنَ اَنَّهٗ مُنَزَّلٌ مِّنۡ رَّبِّكَ بِالۡحَقِّ بیہ تِمَنِ لوکن اَسہِ یہِ کِتاب یعنی تورات وانجیل عطا کر تمِ گے یہود و نصاریٰ تمِ تہٕ چھہِ یقینہ سان زانان کہ یہِ قرآنِ مجید چھُو واقعی تُہندِس پروردگارہ سندہِ طرفہ نازِل آمُت کرنہ کیازِہ برو نتھِمِن کِتابن اندر چھہ اِمِچ خبر دِنہ آمژ فَلَا تَكُوۡنَنَّ مِنَ الۡمُمۡتَرِيۡنَ پَس مہ آسِو تُہہ شک وتردد کرہ وِنیو اَندرہ اَتھہ اندر وَتَمَّتۡ كَلِمَتُ رَبِّكَ صِدۡقًا وَّعَدۡلًا پوُرٕ تہٕ کامِل چھُو تُہندِس پروردگارہ سُندیہِ کلام پوز آسنہ کِن۔ اَمیکِ اعتقادات برابر تہٕ مُعتدل آسنہ کِن امیک اعمال لَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِهٖ کانہہ اکھاہ چھونہ اَتھہ کلامس بدل کرہِ ون تہٕ تغیر و تبدیل کرہِ ون وَهُوَ السَّمِيۡعُ الۡعَلِيۡمُ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ دِشمن ہنزہ سارے کتھہ بوزہ ون ساری اِعتقادات پوٗرٕ زانہ ون وَاِنۡ تُطِعۡ اَكۡثَرَ مَنۡ فِي الۡاَرۡضِ يُضِلُّوۡكَ عَنۡ سَبِيۡلِ اللّٰهِ باوجود لا

إِنْ يَتَّبِعُونَ إِلَّا الظَّنَّ وَإِنْ هُمْ إِلَّا يَخْرُصُونَ ﴿١١٦﴾ إِنَّ رَبَّكَ هُوَ أَعْلَمُ مَنْ يَضِلُّ عَنْ سَبِيلِهِ ۖ وَهُوَ أَعْلَمُ بِالْمُهْتَدِينَ ﴿١١٧﴾ فَكُلُوا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللَّهِ عَلَيْهِ إِنْ كُنْتُمْ بِآيَاتِهِ مُؤْمِنِينَ ﴿١١٨﴾ وَمَا لَكُمْ أَلَّا تَأْكُلُوا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللَّهِ عَلَيْهِ وَقَدْ فَصَّلَ

---

یِلن ہندِ واضِح تہٕ صاف آسنہٕ چھِ دُنیاءس اَندر زیادہ مُنکری۔ ہرگاہ تہٕ یارسُول اللہ بالفرض تہنزٕ کتھ مانِو تلہٕ ڈالن تِم توہہِ پروردگارہ سنزٕ سیزٕ وتہٕ نِشہٕ کیازِہ تِم چھِ پانہ وتہٕ نِشہٕ ڈلمتِ إِنْ يَتَّبِعُونَ إِلَّا الظَّنَّ وَإِنْ هُمْ إِلَّا يَخْرُصُونَ تِم چھِنہٕ اِعتقادٕن منز پیروی کران مگر بے اصل خیالاتن ہنز۔ بیہِ چھِنہٕ تِم مگر اپز ٹھراوان قیاسی کتھہٕ کران۔ إِنَّ رَبَّكَ هُوَ أَعْلَمُ مَنْ يَضِلُّ عَنْ سَبِيلِهِ وَهُوَ أَعْلَمُ بِالْمُهْتَدِينَ تِمن مُقابلہ چھِ بعضی خدایہ سندِ بندہ راہِ راسْتَس پیٹھ پکان۔ پزپاٹھِ تہند پروردگار سُوی چھُو پژزانہٕ وُن تَس یُس تہنزِ وتہِ نِشہِ چھُو ڈلان۔ سُوی چھُو پژزانہٕ وُن تِمن یِم سیزِ وتہِ پیٹھ پکان چھِ۔ سُو یِتھہِ پاٹھِ گُمر ہن سزادِیہ تِتھے پاٹھِ کرِ سیزِ وتہِ پیٹھ پکہ وٲنین انعام واکرام عطا۔ کافِروترو مُسلمانَن اَندر یہِ شبہُہ تہٕ شک کہِ ای مُسلمانو عجیب کتھاہ چھِ تُہنزکہِ پانہ مُورمُت جانور چھُوَن کھیوان مگر خدایَن یُس مُور مُت آسہِ یعنی خودمردٕہ جانور سُو چھِوَن نہ کھیوان۔ مسلمان آی نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن نِشہِ۔ یہِ شُبہ کرُکھہ پیش۔ اَتی سپد نازِل یِم آیاتِ کریمہ۔ ای مُسلمانو توہہِ یلہِ ممانعت آیہ کرنہ کہِ تُہہ مہٕ آسِو کافرن ہنزن کتھن گَن تھاوان فَكُلُوا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللَّهِ عَلَيْهِ إِنْ كُنْتُمْ بِآيَاتِهِ مُؤْمِنِينَ لہٰذا کھٮو تِمن جانوَرَن ہُند ماز تِمَنِ ذبح کرنہٕ وقتہٕ خدایہِ سُند ناو کانسہِ ہندِ ہٕ شرکتہٕ ورای ہینہٕ آمُت آسہِ۔ ہرگاہ تہند ین آیاتَن پڑھہ

کرہ ون تہٕ احکامَن پیٹھ ایمان انہٕ ونِ چھِوہ جانورہ سُند حلال سپدُن تہٕ حرام سپدُن چھُو موقف خدایہِ سُند ناو ہینس پیٹھہ تہٕ نہ ہینس پیٹھہ ذبحکہِ وقتہٕ۔ بیہِ خُونہ والِس جانورہ سُند خُون تہندِ ہٕ بدَنہ منزٕ نیرنس تہٕ نہ نیرَنس پیٹھہ۔ وَمَا لَكُمْ أَلَّا تَأْكُلُوا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللَّهِ عَلَيْهِ توہ کیاہ وَجہ چھُوکہِ تُہہ چھِوہ نہ کھیوان تَس جانورہ سُند ماز یُس ذبح آسہ کرنہ آمُت خدایہِ سُند ناو ہیتھ وَقَدْ فَصَّلَ لَكُمْ مَا حَرَّمَ عَلَيْكُمْ حالانکہِ تمِ

لَكُمْ مَّا حَرَّمَ عَلَيْكُمْ اِلَّا مَا اضْطُرِرْتُمْ اِلَيْهِ ؕ وَاِنَّ كَثِيْرًا
لَّيُضِلُّوْنَ بِاَهْوَآئِهِمْ بِغَيْرِ عِلْمٍ ؕ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ
بِالْمُعْتَدِيْنَ ﴿۱۱۹﴾ وَذَرُوْا ظَاهِرَ الْاِثْمِ وَبَاطِنَهٗ ؕ اِنَّ الَّذِيْنَ
يَكْسِبُوْنَ الْاِثْمَ سَيُجْزَوْنَ بِمَا كَانُوْا يَقْتَرِفُوْنَ ﴿۱۲۰﴾ وَلَا تَاْكُلُوْا
مِمَّا لَمْ يُذْكَرِ اسْمُ اللّٰهِ عَلَيْهِ وَاِنَّهٗ لَفِسْقٌ ؕ وَاِنَّ الشَّيٰطِيْنَ
لَيُوْحُوْنَ اِلٰٓى اَوْلِيٰٓئِهِمْ لِيُجَادِلُوْكُمْ ۚ وَاِنْ اَطَعْتُمُوْهُمْ اِنَّكُمْ

---

فرموٗ توہہِ بتفصیل بیٚس آیِہ کرتمس منز تمِ سارِی چیز یم توہہِ پیٚٹھ تمِ اِلَّا مَا اضْطُرِرْتُمْ اِلَيْهِ مگرے تہٕ سخت مجبور سپدِ وُکھ وَقتہٕ۔ تمہِ ورای بنوہ نہ توہہِ کانہہ چیز۔ تلہِ چھہِ تمِ حرام چیزتہٕ بقدرِ ضرورت توہہِ حلال۔ تمِن حرام چیزن منز چھُونہ کُنہ جایہِ تذکرہِ تَس جانورہ سُندیُس بسمِ اللہ پرِتھ آسہِ باقاعدہ ذبح کرنہ آمت وَاِنَّ كَثِيْرًا لَّيُضِلُّوْنَ بِاَهْوَآئِهِمْ بِغَيْرِ عِلْمٍ پزٕتھ چھہ یہ کہ واریاہ لُوکھ چھہِ لوکن ڈالان تہٕ گمراہ کران پنہ نیو غلط خیالو سیت بلاوجہ تہٕ بلادلیل۔ لیکن کیتس کالس کرن تمِ لوکن گُمراہ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ بِالْمُعْتَدِيْنَ پزٕپاٹھِ تُہند پروردگار چھُو یارسول اللہ زیادہ زانہٕ وُن حدہٕ نشہِ ڈلہ وَنین۔ سُو دِیہ تمِن پانے سخت سزا۔ وَذَرُوْا ظَاهِرَ الْاِثْمِ وَبَاطِنَهٗ ای مُسلمانو تُہہ تراوِو نَنِ گُناہ تہٕ پُوشیدہ گُناہ یَعنی یُتھ نہ دِلن اَندر اَعتقاد آسِو تھاوان حلال چیزکہِ حرام آسنک۔ حرام چیز کہ حلال آسنک اِنَّ الَّذِيْنَ يَكْسِبُوْنَ الْاِثْمَ سَيُجْزَوْنَ بِمَا كَانُوْا يَقْتَرِفُوْنَ پزٕپاٹھِ تمِ لُوکھ گُناہ کرن اَدہ یمہ قسمُک گُناہ آسہِ تہٕ تمہِ قسمُک۔ لوٗکُٹ آسِتن یابوڈ، پُوشیدہ آسِتن یانون ضروٗ ریِہ تمِن سزا دِنہ تمہِ سارکوی یہ تمِ کران آسِ تیچھِ کامیو اَندرہ وَلَا تَاْكُلُوْا مِمَّا لَمْ يُذْكَرِ اسْمُ اللّٰهِ عَلَيْهِ بیہِ مہ آسِو کھیوان ای مُسلمانو تمِس جانورہ سُند ماز یَس پیٹھہ نہ ذبحکہِ وقتہٕ خدایہ سُند ناو ہینہ آسہِ آمُت وَاِنَّهٗ لَفِسْقٌ پزٕپاٹھِ سُو کھیون چھُو سخت گُناہ وَاِنَّ الشَّيٰطِيْنَ لَيُوْحُوْنَ اِلٰٓى اَوْلِيٰٓئِهِمْ لِيُجَادِلُوْكُمْ پزٕپاٹھِ جن شیطانِ چھہِ پنہ نین دُوستن تہٕ پیروٗن ہندین دِلن منز تمہِ عجیب کتھہ تراوان توہہِ سیت بحث کرنہ خیٚطرٕ وَاِنْ اَطَعْتُمُوْهُمْ

لَمُشْرِكُوْنَ ﴿١٢١﴾ اَوَمَنْ كَانَ مَيْتًا فَاَحْيَيْنٰهُ وَجَعَلْنَا لَهٗ نُوْرًا يَّمْشِيْ بِهٖ فِى النَّاسِ كَمَنْ مَّثَلُهٗ فِى الظُّلُمٰتِ لَيْسَ بِخَارِجٍ مِّنْهَا ؕ كَذٰلِكَ زُيِّنَ لِلْكٰفِرِيْنَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٢٢﴾ وَكَذٰلِكَ جَعَلْنَا فِيْ كُلِّ قَرْيَةٍ اَكٰبِرَ مُجْرِمِيْهَا لِيَمْكُرُوْا فِيْهَا ؕ وَمَا يَمْكُرُوْنَ اِلَّا بِاَنْفُسِهِمْ وَمَا يَشْعُرُوْنَ ﴿١٢٣﴾ وَاِذَا جَآءَتْهُمْ

---

اِنَّكُمْ لَمُشْرِكُوْنَ ہرگاہ توہہِ تِہنزٕ کتھ مانِوٕ۔ عقایدن یا عملن مُتعلق تِہٕ تہِ گیُوٕ تلہٕ ضرور مُشرِک۔ اَوَمَنْ كَانَ مَيْتًا فَاَحْيَيْنٰهُ وَجَعَلْنَا لَهٗ نُوْرًا يَّمْشِيْ بِهٖ فِى النَّاسِ كَمَنْ مَّثَلُهٗ فِى الظُّلُمٰتِ لَيْسَ بِخَارِجٍ مِّنْهَا آیا ییُس شخصاہ گوڈٕ اُوس مُردٕ گمراہ تہٕ وَتہٕ ڈولمت۔ تو پتہٕ کور اَسہٕ سُو زِندٕ یعنی مُسلمان بنووبیہٕ کوٚر تس عطا اَسہٕ نُوراہ یُس نُور ہیتھ پکان چھُو سُو لُوکن اَندر گمراہی ہندیو ساروی غایلو نشہٕ چھُو سُو محفوظ۔ سُو چھا برابر تس شخصس سیت یُس گمراہی ہنزٕ انہٕ گٹہٕ اَندر وَلنہ آمُت چھُو۔ تِمہٕ منزٕ چھُونہ ہیکان سُو نیر تھے ہرگز چھُونہ برابر كَذٰلِكَ زُيِّنَ لِلْكٰفِرِيْنَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ یتھہٕ پاٹھہٕ بایمانَن چھُو ایمان تہٕ اعمالِ صالح رٕژٕ معلوم سپدان یتھے پاٹھہٕ آو زینت دِنہٕ کافرن ہنزن تِمن کامین یِمہٕ تِم کران چھِ یِہ نوکِتھاہ چھنہٕ وَكَذٰلِكَ جَعَلْنَا فِيْ كُلِّ قَرْيَةٍ اَكٰبِرَ مُجْرِمِيْهَا لِيَمْكُرُوْا فِيْهَا بلکہٕ یتھہٕ پاٹھہٕ ازمکہ شریفک زِٹھ زِٹھہٕ لُوکھ چھِہٕ پزِس دعوتس مُخالفت کران لوگن سیرِٕ وَتہٕ نِشہٕ ڈالان یتھے پاٹھہٕ کٔر اَسہٕ برونٹھمین اُمتن ہندِ پرِیتھ شہرس اندر زِٹھہٕ زِٹھہٕ لُوکھی یِم گوڈٕ ارتکابِ جرم کران آسِ۔ تِہندٕ اَثرٕ سیت آسِ عام لُوکھ تہٕ سُو جرم کرن ہیوان تااینکہ تِم لُوکھ آسِ حضراتِ انبیاءن ضرر واتناونہ خیطرٕ تہٕ تِہندِس تبلیغس ناکام بناونہ خیطرٕ شُورش پھیلاوان یِمہٕ مُوکھہ یِم ساری عذابس گرفتار آسِ یوان کرنہ وَمَا يَمْكُرُوْنَ اِلَّا بِاَنْفُسِهِمْ وَمَا يَشْعُرُوْنَ تِم لُوکھ آسِ پننہٕ خیالہٕ پیغمبرن تکلیف واتناونہ خیطرٕ شرارت کران مگر تِمیُک ضرر اُوس تِمن پننے پانن واتان مگر جہل وبے علمی سببہٕ اوسُکھ نہٕ فکری تران۔ تِمنِ مکہ کین کافرن ہُند جرم چھُو یُوت زیادٕ کہٕ وَاِذَا جَآءَتْهُمْ اٰيَةٌ قَالُوْا لَنْ نُّؤْمِنَ حَتّٰى نُؤْتٰى مِثْلَ مَآ اُوْتِيَ رُسُلُ اللّٰهِ یلہٕ تِمن نِش

ایَةٌ قَالُوا لَنْ نُّؤْمِنَ حَتّٰى نُؤْتٰى مِثْلَ مَاۤ اُوْتِیَ رُسُلُ اللّٰهِ ؔۘ
اَللّٰهُ اَعْلَمُ حَیْثُ یَجْعَلُ رِسَالَتَهٗ ؕ سَیُصِیْبُ الَّذِیْنَ اَجْرَمُوْا
صَغَارٌ عِنْدَ اللّٰهِ وَعَذَابٌ شَدِیْدٌۢ بِمَا كَانُوْا یَمْكُرُوْنَ ﴿۱۲۴﴾
فَمَنْ یُّرِدِ اللّٰهُ اَنْ یَّهْدِیَهٗ یَشْرَحْ صَدْرَهٗ لِلْاِسْلَامِ ۚ
وَمَنْ یُّرِدْ اَنْ یُّضِلَّهٗ یَجْعَلْ صَدْرَهٗ ضَیِّقًا حَرَجًا كَاَنَّمَا
یَصَّعَّدُ فِی السَّمَآءِ ؕ كَذٰلِكَ یَجْعَلُ اللّٰهُ الرِّجْسَ عَلَى الَّذِیْنَ

---

واتان چھُو پزِ یُک کانہہ نشانہ، بوڈ مُعجزہ یُس پیغمبر برحقہ سندِس نبوتَس پیٹھ بڈ دِلیل چھُو آسان تمہِ ساتہ چھہِ تم ونان ہہِ اسِ گرونہ تُو تتانِ پزھ یُو تتانِ نہ اَسہِ پانس تہٖ منِ عطا کرنہ تم تمِ چیز تمِ پیغمبرن عطا کرنہ آے یعنی وحی، کتاب وغیرہ۔ اَتھہ چھُو کران اللہ تعالیٰ ردّ۔ فرماوان چھُو اَللّٰهُ اَعْلَمُ حَیْثُ یَجْعَلُ رِسَالَتَهٗ اللہ تعالیٰ چھُو بہتر تہٖ رُت زانان زِہ کوسہٕ جای چھِہ مُناسِب تہٖ لایق پیغمبری خیطرہ۔ کُہہ شخص چھُو قابلِ تہٖ سزاوار امہِ عہدہٕ جلیلہ خیطرہ سَیُصِیْبُ الَّذِیْنَ اَجْرَمُوْا صَغَارٌ عِنْدَ اللّٰهِ عنقریب واتہِ تمن لُوکن یمو یزھ کتھہ وَن تہٖ یُتھہ جرُمِ عظیم کورُ خدایَس نِش واتھہ بڈ ذلّت تہٖ خواری آخرِ تَس اَندر وَعَذَابٌ شَدِیْدٌۢ بِمَا كَانُوْا یَمْكُرُوْنَ بیہِ واتیکھ کُڈر عذاب مکر تہٖ فریب تہٖ شُوروشر پھیلاونہ خیطرہ فَمَنْ یُّرِدِ اللّٰهُ اَنْ یَّهْدِیَهٗ یمہِ برونٹھہ آو بیان کرنہ حال باایمانَن تہٖ کافرن ہُند تمہِ اَندرہ سپدُ معلُوم کہِ یَسندِہ حقہ اللہ تعالیٰ یزھہ ہدایتہ چھِہ وتہِ پیٹھ اَنون تہٖ نجاتچہ وتہِ پیٹھ پکناوُن یَشْرَحْ صَدْرَهٗ لِلْاِسْلَامِ تُسند سینہ یعنی دِل چھُو مُژراوان تہٖ کُشادہ کران اِسلام قبول کرنہ خیطرہ وَمَنْ یُّرِدْ اَنْ یُّضِلَّهٗ یَجْعَلْ صَدْرَهٗ ضَیِّقًا حَرَجًا بیہِ یَسندِہ حقہ اللہ تعالیٰ یزھان چھُو گمراہی تسند سینہ یعنی دِل چھُو کران تنگ سُوی سیٹھاہ تنگ اِسلام قبول کرنہ خیطرہ كَاَنَّمَا یَصَّعَّدُ فِی السَّمَآءِ زَن سُو شخص زورہ آسمان چھُو کھسُن ہیوان۔ مگر چھُو نہ کھسِت ہیکان دِل چھُوس تنگ سپدان كَذٰلِكَ یَجْعَلُ اللّٰهُ الرِّجْسَ عَلَى الَّذِیْنَ لَا یُؤْمِنُوْنَ تِتھے پاٹھِہ چھُو اللہ تعالیٰ شیطانہ سُند وسوسہ تراوان تمن لُوکن پیٹھ یم نہ ایمان اَنان تہٖ یزھہ

لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿١٢٥﴾ وَهٰذَا صِرَاطُ رَبِّكَ مُسْتَقِيْمًا ؕ قَدْ فَصَّلْنَا
الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّذَّكَّرُوْنَ ﴿١٢٦﴾ لَهُمْ دَارُ السَّلٰمِ عِنْدَ رَبِّهِمْ
وَهُوَ وَلِيُّهُمْ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٢٧﴾ وَيَوْمَ يَحْشُرُهُمْ
جَمِيْعًا ۚ يٰمَعْشَرَ الْجِنِّ قَدِ اسْتَكْثَرْتُمْ مِّنَ الْاِنْسِ ۚ وَقَالَ
اَوْلِيٰٓـؤُهُمْ مِّنَ الْاِنْسِ رَبَّنَا اسْتَمْتَعَ بَعْضُنَا بِبَعْضٍ وَّبَلَغْنَآ
اَجَلَنَا الَّذِيْٓ اَجَّلْتَ لَنَا ؕ قَالَ النَّارُ مَثْوٰىكُمْ خٰلِدِيْنَ

---

کران پڇھ تمي وسوسچ ناپاکي ڇھ روز بروز زيادہ سپدان وَهٰذَا صِرَاطُ رَبِّكَ مُسْتَقِيْمًا يہ دين اسلام تيڃ ذڪر برونٺھ سپز يہي ٺهندِ س پروردگارہ سنز سيز وَتھ۔ امہ وراي ڇھنہ بيہ کانہہ وتھاہ سيز يمہ وتہ پيٹھ پکنہ سيت شخص نجات لبہ قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّذَّكَّرُوْنَ بيشک اسي صراطِ مُستقيمہ کہ وضاحتہ خيطرہ کرِ اسہ پننِ آيات بتفصيل بيان نصيحت رٹہ وَنين لوکن ہندِ خيطرہ لَهُمْ دَارُ السَّلٰمِ عِنْدَ رَبِّهِمْ وَهُوَ وَلِيُّهُمْ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ تمن نصيحت رٹہ وَنين تہ دينِ اسلام قبول کرہ وَنين ہندِ خيطرہ ڇھُو سلامتي تہ امن وامانک پوشون گرہ يعني جنّت تهندِ س پروردگارس نشہِ۔ سُوي ڇھُو يمہند دوست تہ مددگار تھ بدلہ تمِ کران آس رژہ عملہ وَيَوْمَ يَحْشُرُهُمْ جَمِيْعًا بيہ ڇھُو سُو دوہ قابلِ ذکر يمہ دوہہ اَسِ ساري مخلوقات جمع کرِ کھ يتھ منز جن تہ انسان ساري جمع آسن۔ تمو منزہ بيہ جن شيطانن ژکھہ ہوت وَنہ يٰمَعْشَرَ الْجِنِّ قَدِ اسْتَكْثَرْتُمْ مِّنَ الْاِنْسِ اي جن شيطانو وارياہ لوکھ بناوِوکھ توہہ پنن تابع انسانو اندرہ تمِ گمراہ کرُوکھ پانس سيت وَقَالَ اَوْلِيٰٓـؤُهُمْ مِّنَ الْاِنْسِ تو پتہ وَنن تمن شيطانن ہند دوست انسانو اندرہ رَبَّنَا اسْتَمْتَعَ بَعْضُنَا بِبَعْضٍ اي سانہِ پروردگارہ بيشک ڇھُو چون فرماوُن پوز۔ واقعي تُل نفساني فائيدہ اسہِ اندرہ بعضيو بعضين ہندہ سيت۔ واقعي حقيقتس اندر آسِ شيطانن ہندہ ڈالنہ سيت قيامتس انکار کران وَّبَلَغْنَآ اَجَلَنَا الَّذِيْٓ اَجَّلْتَ لَنَا وَنِ واتِ اس تتھ مُعين وقتس يُس ژيہ سانہِ خيطرہ مقرر اوسُتھ کورمت يعني ووِن ڇھوا فيصلہ ژي اتھِ قَالَ النَّارُ مَثْوٰىكُمْ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اِلَّا

فِيهَآ إِلَّا مَا شَآءَ ٱللَّهُ ۗ إِنَّ رَبَّكَ حَكِيمٌ عَلِيمٌ ﴿١٢٨﴾ وَكَذَٰلِكَ نُوَلِّى بَعْضَ ٱلظَّٰلِمِينَ بَعْضًۢا بِمَا كَانُوا۟ يَكْسِبُونَ ﴿١٢٩﴾ يَٰمَعْشَرَ ٱلْجِنِّ وَٱلْإِنسِ أَلَمْ يَأْتِكُمْ رُسُلٌ مِّنكُمْ يَقُصُّونَ عَلَيْكُمْ ءَايَٰتِى وَيُنذِرُونَكُمْ لِقَآءَ يَوْمِكُمْ هَٰذَا ۚ قَالُوا۟ شَهِدْنَا عَلَىٰٓ أَنفُسِنَا ۖ وَغَرَّتْهُمُ ٱلْحَيَوٰةُ ٱلدُّنْيَا وَشَهِدُوا۟ عَلَىٰٓ أَنفُسِهِمْ أَنَّهُمْ كَانُوا۟ كَٰفِرِينَ ﴿١٣٠﴾

---

مَا شَآءَ اللّٰهُ اللہ تعالیٰ فرماويٿو اي جن ۽ اِنسان ڪافرو ٿهنده خيطره ڇهومُيون فيصلہ نار جهنّمَس منز ٿهنز جاي۔ هميشہ ڇھُو توهہِ رُوزُن تٿہ منز مگرے اللہ تعالیٰ اي يژهہِ توهہِ تمہِ منزہ ڪڈُن مگر سُو يژهہِ نہ زانہہ۔ اِنَّ رَبَّكَ حَكِيمٌ عَلِيمٌ پزپاٹ ٿُهند رُب ڇھُو سٹھاہ حکمتہ وُول ۽ سٹھاہ عِلمہ وُول۔ علمہ سيت ڇھہِ تَس سارني هندِ جرُم معلُوم حکمتہ سيت ڇھُو پرٿہ مُجرمَس مُناسِب سزادِوان وَكَذَٰلِكَ نُوَلِّى بَعْضَ الظّٰلِمِيْنَ بَعْضًا بِمَا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ٿِٿے پاٹھِ تھاووکھ اَسِ اَڈِ گنهگارِ بَن گُنهگارن نزديکَ ٿٿہ پاٹھِ تمِ دُنياءِ س اَندر اِکہ وَٹہ رُوزِتھ تِيُھ کامہِ کران آسِ يٰمَعْشَرَ الْجِنِّ وَالْاِنْسِ اَلَمْ يَاْتِكُمْ رُسُلٌ مِّنْكُمْ يَقُصُّوْنَ عَلَيْكُمْ اٰيٰتِيْ وَيُنْذِرُوْنَكُمْ لِقَآءَ يَوْمِكُمْ هٰذَا اي جنّن ۽ اِنسانن هنز و جماژو توہے ڇهِوہ پنہ نين گمراہيَن ۽ تِيُھ عملَن هُند اِقرار کران۔ کِياہ توہيہ نِش واژاي ناسانِ پيغمبر تمِ توہی منزہ آسِ تمِ توهہِ پران آسہَن پُوزونان آسہَن اِعتقادن ۽ اَعمالَن مُتعلق سانِ آيات بيہ آسہن توهہِ بيم کران ازکہ دُهکہ پيش انک۔ اَدہ کِياہ وجہ اُوس ٿُهہ آسِوہ نہ کُفر و نافرماني نِشہِ بازيوان۔ قَالُوْا شَهِدْنَا عَلٰٓى اَنْفُسِنَا تمِ ساري دِپن اَسِ ڇھہِ پنہ نين پانَن پيٹھہ پانے جرُچ گواہی دوان کہ واقعی حضراتِ انبياءِ واژاي اَسہِ نِش تمِ آسِ چانِ آيات اَسہ بوزہ ناوان۔ بيہ آسِ ارکہِ دُهکِ بيم ۽ کران۔ مگر اَسِ آس نہ ٿهند مانان۔ اللہ تعالیٰ ڇھُو فرماوان۔ وَغَرَّتْهُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا تِمن اُوس دِتمُت دُنياچہِ زندگاني دُهوکہ۔ تِمو اُوس دُنيوي عيش زُونمت مقصدِ اَعظم آخرچ آسکھ نہ فِکری تمِيُک نتيجہ

ذٰلِكَ اَنْ لَّمْ يَكُنْ رَّبُّكَ مُهْلِكَ الْقُرٰى بِظُلْمٍ وَّاَهْلُهَا غٰفِلُوْنَ ﴿۱۳۱﴾ وَلِكُلٍّ دَرَجٰتٌ مِّمَّا عَمِلُوْا ؕ وَمَا رَبُّكَ بِغَافِلٍ عَمَّا يَعْمَلُوْنَ ﴿۱۳۲﴾ وَرَبُّكَ الْغَنِيُّ ذُو الرَّحْمَةِ ؕ اِنْ يَّشَاْ يُذْهِبْكُمْ وَيَسْتَخْلِفْ مِنْۢ بَعْدِكُمْ مَّا يَشَآءُ كَمَآ اَنْشَاَكُمْ مِّنْ ذُرِّيَّةِ قَوْمٍ اٰخَرِيْنَ ﴿۱۳۳﴾ اِنَّ مَا تُوْعَدُوْنَ

---

دراوکہ وَشَهِدُوْا عَلٰٓى اَنْفُسِهِمْ اَنَّهُمْ كَانُوْا كٰفِرِيْنَ تموٗ دِژ پانے پنہٕ نِس کافرٕ آسنس پیٹھ گواہی مگر تتہِ اِقرار کرنس کیاہ فائدہ نیرِہ ذٰلِكَ اَنْ لَّمْ يَكُنْ رَّبُّكَ مُهْلِكَ الْقُرٰى بِظُلْمٍ وَّاَهْلُهَا غٰفِلُوْنَ یہِ پیغمبرن ہندہِ دَعوتِ حقَ ہیتھ سوٗز نک سِلسلہِ آو جاری کرنہ۔ کیازِہ تُہند پروردگار (یارسول اللہ) چھُونہ کُنہِ شہرہ کین لوٗگن ظُلم کرِتھ تہنزِہ بے خبری اَندر گالان۔ بلکہ چھُو کھ گوڈہ پیغام واتناوان حضراتِ انبیاء نَ ہندِہ ذریعہ وَلِكُلٍّ دَرَجٰتٌ مِّمَّا عَمِلُوْا وَمَا رَبُّكَ بِغَافِلٍ عَمَّا يَعْمَلُوْنَ یلہِ پیغمبر آے سوزنہ تموٗ دُیت لُوکن ناد سارنی لوٗگن سپدُ اطلاع۔ تمہِ پتہ چھہ جِنن تہ اِنسانن نیکوکارن تہ بدکارن سارنیِ عملہ کرہ وِنین ہندہ خیطرہ درجات مُقرر کرنہ آمتِ۔ تہنزِہ عملہِ مُطابق تمیٔ درجاتن مُطابق واتہِ تمن پنہ نین عملَن ہُند نتیجہ تہ بیہِ چھُونہ تُہند پروردگار لوکن ہنزِو عملونشہِ بے خبر وَرَبُّكَ الْغَنِيُّ ذُو الرَّحْمَةِ بیہِ چھُو تُہند پروردگار بے نیاز تَس چھنہ لوٗگن ہنزِہ عبادژ ضرورتھے۔ سُو چھُو رحمتہ وٗل۔ محض پنہٕ رحمتہ سیت سوزِ تمِ حضراتِ انبیاء یُتھ تہندِہ ذریعہ معلوم سپدن نفع وضررکِ چیز۔ اَتھ اندر چھُو بندن ہُندُ وی فائیدہ۔ اِنْ يَّشَاْ يُذْهِبْكُمْ وَيَسْتَخْلِفْ مِنْۢ بَعْدِكُمْ مَّا يَشَآءُ ہرگاہ سُو یژھِ توہہِ سارنیٖ نیہِ یکدم تمہِ حالہ منزہ ہلاک کرِتھ۔ توہہِ بدَل انہِ توہہِ پتہ تمَن۔ یژھِ تہ تمن كَمَآ اَنْشَاَكُمْ مِّنْ ذُرِّيَّةِ قَوْمٍ اٰخَرِيْنَ یتھہ پاٹھہِ تُہہ کرِنوہ پیدہ بیہِ اِکہ قومکہِ نسلہ اَندرہ تُہند چھُونہ وجوٗد کُنہِ تُہہ چھُوہ تہنزِہ جایہِ موجوٗد یَتھے پاٹھِہ چھُو یہ سِلسِلہ جاری مگر وارہ وارہ۔ ہرگاہ اَسِ یژھَو تُہہ کرووہ ختم یکدم کیازِہ سانہِ کامہِ چھنہ کانسہِ ہندہ آسنہ سیت یا نہ آسنہ سیت کانہہ رُکاوٹ۔ حضراتِ انبیاء سوزے یہِ اَسہِ تُہندہ مُفادہ

لَاٰتٍ ۙ وَّمَآ اَنۡتُمۡ بِمُعۡجِزِيۡنَ ﴿۱۳۴﴾ قُلۡ يٰقَوۡمِ اعۡمَلُوۡا عَلٰى
مَكَانَتِكُمۡ اِنِّىۡ عَامِلٌ ۚ فَسَوۡفَ تَعۡلَمُوۡنَ ۙ مَنۡ تَكُوۡنُ لَهٗ
عَاقِبَةُ الدَّارِ ؕ اِنَّهٗ لَا يُفۡلِحُ الظّٰلِمُوۡنَ ﴿۱۳۵﴾ وَجَعَلُوۡا لِلّٰهِ
مِمَّا ذَرَاَ مِنَ الۡحَـرۡثِ وَالۡاَنۡعَامِ نَصِيۡبًا فَقَالُوۡا
هٰذَا لِلّٰهِ بِزَعۡمِهِمۡ وَهٰذَا لِشُرَكَآئِنَا ۚ فَمَا كَانَ
لِشُرَكَآئِهِمۡ فَلَا يَصِلُ اِلَى اللّٰهِ ۚ وَمَا كَانَ لِلّٰهِ فَهُوَ

---

خيطره. اسهِ اُوس نه تتهه اندر ڦِٽن ڪانهه غرض. لهذا اڀزه ها توههِ تمن پيغمبرن تصديق ڪرُن. تهنز پيروي ڪرنِ. تمهِ سيت سپده ها توههِ سعادت حاصل. اِنَّ مَا تُوۡعَدُوۡنَ لَاٰتٍ ۙ وَّمَآ اَنۡتُمۡ بِمُعۡجِزِيۡنَ يمن چيزن هُند توههِ پيغمبرن هندِ ه واسطه وعده يوان ڇهُو ڪرنه قيامت يا عذاب تمه ڪتهه ڇهه يقيناً ضرور اِوه ونهِ. تُههِ هيڪون نه خدا عاجز ڪرِت. عذابه نشهِ ڦِٽن پان بچاوِت ژهڇهِ دِنه سيت. رُوپوش روزنه سيت يا بيَيس شهرس ته ملڪس ژلنه سيت قُلۡ يٰقَوۡمِ اعۡمَلُوۡا عَلٰى مَكَانَتِكُمۡ اِنِّىۡ عَامِلٌ بالاخر فرماوُيوُکهه تهُهِ يا رسول الله اي لُوکو تُههِ گرِٿهو ڦِٽن ڪام ڪران ڀننهِ جايهِ بُوته ڇهُوس ڦِٽنِ ڪام ڪران ڀننهِ جايهِ فَسَوۡفَ تَعۡلَمُوۡنَ عنقريب سپده توههِ معلوم مَنۡ تَكُوۡنُ لَهٗ عَاقِبَةُ الدَّارِ اِنَّهٗ لَا يُفۡلِحُ الظّٰلِمُوۡنَ ڪهِ ڪسندِ ه حقّه آسهِ رُت انجام آخر تَس اندر. بيشڪ يمهِ ڇهه يقيني ڪتهه ڪهِ ظالِم گرِٿهن نه زانهه ڪامياب وَجَعَلُوۡا لِلّٰهِ مِمَّا ذَرَاَ مِنَ الۡحَـرۡثِ وَالۡاَنۡعَامِ نَصِيۡبًا بيهِ لگ تمِ ڪافرِ خدايهِ سندِ ه خيطره (تمِ منزِه يهِ تمي پيده ڪورمُت ڇهُو زراعت ته چاروايو منزه) اکهه حصّه مُقرّر ڪرنه. بياکهه حصّه ڀُوتلين هندِ ه خيطره حالانکهِ پيده ڪرِنس منز ڇهُونه تَس ڪانهه تهِ شريڪ فَقَالُوۡا هٰذَا لِلّٰهِ بِزَعۡمِهِمۡ وَهٰذَا لِشُرَكَآئِنَا پَس دِپنهِ لگِ تمِ پننهِ خيالهِ يهِ حصّه گو خدايس يهِ حصّه گوسانين ٿهراو متين شريڪن فَمَا كَانَ لِشُرَكَآئِهِمۡ فَلَا يَصِلُ اِلَى اللّٰهِ پَس يُس حصّه آسهِ تهندين شريڪن هندِ ه خيطره ٿهاونه آمُت سُوي آسهِ جان ته رُت. تمهِ منزه واتهِ نه ڪهِنهي خدايس وَمَا كَانَ لِلّٰهِ فَهُوَ يَصِلُ اِلٰى شُرَكَآئِهِمۡ بيهِ يُس حصّه آسه

يَصِلُ إِلَىٰ شُرَكَآئِهِمْ ۗ سَآءَ مَا يَحْكُمُونَ ﴿١٣٦﴾ وَكَذَٰلِكَ
زَيَّنَ لِكَثِيرٍ مِّنَ الْمُشْرِكِينَ قَتْلَ أَوْلَادِهِمْ
شُرَكَآؤُهُمْ لِيُرْدُوهُمْ وَلِيَلْبِسُوا عَلَيْهِمْ دِينَهُمْ ۖ
وَلَوْ شَآءَ اللَّهُ مَا فَعَلُوهُ ۖ فَذَرْهُمْ وَمَا يَفْتَرُونَ ﴿١٣٧﴾
وَقَالُوا هَٰذِهِ أَنْعَامٌ وَحَرْثٌ حِجْرٌ لَّا يَطْعَمُهَا إِلَّا مَن
نَّشَآءُ بِزَعْمِهِمْ وَأَنْعَامٌ حُرِّمَتْ ظُهُورُهَا وَأَنْعَامٌ

---

خدا ِ سندہِ خيطرہ ٿھاونہ آمُت سُوِی جان پہن اُوس سُو ہیکہ واتتھ تہندین شِریکن گُن۔ سَآءَ مَا يَحْكُمُونَ کوتاہ ہِچھ پھُویُہند یہِ فیصلہ تہٕ تجویز۔ کیازِہ یُس چیز خدا ین پیدٕہ کور۔ سُو کیازِہ بیہِ تھاونہ تَس ورای بیہِ کانسہِ ہندِہ خیطرہ وَكَذَٰلِكَ زَيَّنَ لِكَثِيرٍ مِّنَ الْمُشْرِكِينَ قَتْلَ أَوْلَادِهِمْ شُرَكَآؤُهُمْ لِيُرْدُوهُمْ وَلِيَلْبِسُوا عَلَيْهِمْ دِينَهُمْ تِتھےٚ پاٹھِہٕ دُیت زینت واریٛہن مُشرِکن پننِ اولاد مارنُس تہند یو شیطانو۔ چنانچہِ تِمن آس یہِ وحشیانہ کُوم رٕژ تہٕ جان یِوان بُوزنہٕ۔ یُتھہ تِم مُشرِک تباہ و برباد سَپدِن آخر تَس منز۔ بیہِ یُتھہ تِمن مُشرِکن پیٹھہ دین تہُند خلط ملط سپدِہ۔ تِم روزن ہمیشہ غلطی منزی وَلَوْ شَآءَ اللَّهُ مَا فَعَلُوهُ تُہہ مہ سپدِو تہٕنز وِتِچھہ کامیو سببہ غمگین۔ ہرگاہ اللہ تعالیٰ یژھہٕ ہا تہندِہ حقہ جانیر تلہِ آسہن نہٕ تِم یہِ تِچھہ کوم کران فَذَرْهُمْ وَمَا يَفْتَرُونَ پَس تراویوکھ تِم تہٕ تہِند اپز نو ور اَون تہٕ غلط کتھہ ٹھہراونہٕ تِم تلن پانے تمیُک خراب نتیجہ وَقَالُوا هَٰذِهِ أَنْعَامٌ وَحَرْثٌ حِجْرٌ بیہِ چھہِ تِم پننہ باطِل خیالہ مُوجب یہِ تہٕ ونان کہ تِم چاروای تہٕ یہِ زراعت یُس تِم حاصِل کران آسِ چھُو حرام لَّا يَطْعَمُهَا إِلَّا مَن نَّشَآءُ بِزَعْمِهِمْ تِمن ہیکہِ نہٕ کانہہ شخص استعمال کرِت تَس شخصَس ورای یُس اسِ پننہِ خیالہ مُوجُب کھیاوُن یژھون (یعنی تِم چھہِ معبودانِ باطِلن ہندِہ خیطرہ نذر تھاوان۔ تو پتہٕ چھہِ کھیاوان تہندین مجاورنی یُوت تِمن ورای بین ہندِہ خیطرہ چھہِ زانان حرام وَأَنْعَامٌ حُرِّمَتْ ظُهُورُهَا بیہِ آسِ ونان تِم جانور (کنہہ جانور مخصوص کرِت) تِمن پیٹھہ چھُو سوار سپدُن یا بُور کھارُن حرام کیازِہ

لَّا يَذْكُرُوْنَ اسْمَ اللّٰهِ عَلَيْهَا افْتِرَآءً عَلَيْهِ ۭ سَيَجْزِيْهِمْ
بِمَا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ ﴿١٣٨﴾ وَقَالُوْا مَا فِيْ بُطُوْنِ هٰذِهِ الْاَنْعَامِ
خَالِصَةٌ لِّذُكُوْرِنَا وَمُحَرَّمٌ عَلٰٓي اَزْوَاجِنَا ۚ وَاِنْ يَّكُنْ
مَّيْتَةً فَهُمْ فِيْهِ شُرَكَاۗءُ ۭ سَيَجْزِيْهِمْ وَصْفَهُمْ ۭ اِنَّهٗ حَكِيْمٌ
عَلِيْمٌ ﴿١٣٩﴾ قَدْ خَسِرَ الَّذِيْنَ قَتَلُوْٓا اَوْلَادَهُمْ سَفَهًۢا
بِغَيْرِ عِلْمٍ وَّحَرَّمُوْا مَا رَزَقَهُمُ اللّٰهُ افْتِرَآءً عَلَى اللّٰهِ ۭ

---

تم ڇهِ مُنسوب معبودانِ باطِلَن کي کرنه آمت وَاَنْعَامٌ لَّا يَذْكُرُوْنَ اسْمَ اللّٰهِ عَلَيْهَا افْتِرَآءً عَلَيْهِ
بيه کينهه چارواي تمن پيٹھه آسنه ذبحهِ وَقتہ خدايہ سُند ناو هيوان خدا ايس پيٹھه اُپزنوراوِ تهه۔ کيازه يه آسِ
زانان کہ امهِ سيت گڑهِ الله تعاليٰ خُوش سَيَجْزِيْهِمْ بِمَا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ عنقريب ديه الله تعاليٰ تمنِ
امهِ اپزنووراونه مؤکهه سزا وَقَالُوْا مَا فِيْ بُطُوْنِ هٰذِهِ الْاَنْعَامِ خَالِصَةٌ لِّذُكُوْرِنَا وَمُحَرَّمٌ عَلٰٓي اَزْوَاجِنَا
بيه آسِ ونان تمِ مُشرکِ، يم بچه تمنِ چارواين هندين شکمن منز چهِ تمِ چهِ فقط اَسہ اَندره مردن هنده
خيطره حلال، زنانن پيٹھه چهِ تمِ حرام وَاِنْ يَّكُنْ مَّيْتَةً فَهُمْ فِيْهِ شُرَكَاۗءُ هرگاه سُو بچهِ مُرده زيوه
تلهِ چهِ ساري مرد تہ زنانه تمهِ کِس کھينس منز برابر شريک سَيَجْزِيْهِمْ وَصْفَهُمْ اِنَّهٗ حَكِيْمٌ عَلِيْمٌ
عنقريب ديهِ الله تعاليٰ تمن پانے حرامه تہ حلاله سيت جانورن صفت کرنس پيٹھه ضرور سزا۔ بيشک سُو
چھُو سٹهاه حکمتہ وول تہ سٹهاه زانن وول۔ تمسُند گرفتاري اندر تاخير کرُن چھُو نہ بے خبري مؤکهه بلکه تَس
چهه پُور خبر مگر تاخيرِ عذابس منز چهه حکمت آسان قَدْ خَسِرَ الَّذِيْنَ قَتَلُوْٓا اَوْلَادَهُمْ سَفَهًۢا
بِغَيْرِ عِلْمٍ بتحقيق تاوانس منز پيئے تمِ لُوکهه يمو اولادِ پنن بے وقوفي تہ جهالتہ سببہ بلا دليل مارِ وَّحَرَّمُوْا
مَا رَزَقَهُمُ اللّٰهُ بيه کرُکهه حرام پانس پيٹھه سُو رزق يُس الله تعاليٰ اَن عطا کريو کهه افْتِرَآءً عَلَى اللّٰهِ يم
ساري چيز چهِ کران تمِ اپزنووراوتهه خدا ايس پيٹھه قَدْ ضَلُّوْا وَمَا كَانُوْا مُهْتَدِيْنَ بيشک سپدِ تمِ لُوکهه
گمراه بيه آس نه تمِ زانهه تہ سيزِه وتہ پيٹھه پکه ون وَهُوَ الَّذِيْٓ اَنْشَاَ جَنّٰتٍ مَّعْرُوْشٰتٍ وَّغَيْرَ

قَدْ ضَلُّوْا وَمَا كَانُوْا مُهْتَدِيْنَ ﴿۱۴۰﴾ وَهُوَ الَّذِيْٓ اَنْشَاَ
جَنّٰتٍ مَّعْرُوْشٰتٍ وَّغَيْرَ مَعْرُوْشٰتٍ وَّالنَّخْلَ وَالزَّرْعَ
مُخْتَلِفًا اُكُلُهٗ وَالزَّيْتُوْنَ وَالرُّمَّانَ مُتَشَابِهًا وَّغَيْرَ
مُتَشَابِهٍ ؕ كُلُوْا مِنْ ثَمَرِهٖٓ اِذَآ اَثْمَرَ وَاٰتُوْا حَقَّهٗ يَوْمَ
حَصَادِهٖ ۖ وَلَا تُسْرِفُوْا ؕ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْمُسْرِفِيْنَ ﴿۱۴۱﴾ وَ
مِنَ الْاَنْعَامِ حَمُوْلَةً وَّفَرْشًا ؕ كُلُوْا مِمَّا رَزَقَكُمُ اللّٰهُ وَ
لَا تَتَّبِعُوْا خُطُوٰتِ الشَّيْطٰنِ ؕ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ ﴿۱۴۲﴾

---

مَعْرُوْشٰتٍ سُو پروردگار گو سُوی یم پیدہ کرِ تمِ باغ یمن اندر تمِ کُلِ چھِ یم ڈھکن پیٹھ کھسان چھِ (دَچھِ کُلِ ہی) بیہِ تمِ کُل یم ڈھوورائے کھسان چھِ وَّالنَّخْلَ وَالزَّرْعَ مُخْتَلِفًا اُكُلُهٗ بیہِ تمِ خضر کُلِ بیہِ زراعت پیدہ کُور یمہِ کین میون تہٖ دانن مختلف صورت تہٖ مختلف مزہ آسان چھُو وَالزَّيْتُوْنَ وَالرُّمَّانَ مُتَشَابِهًا وَّغَيْرَ مُتَشَابِهٍ بیہِ کُورن پیدہ زیتون بیہِ دانِ یم اکھ اکس ہی تہٖ چھِ آسان۔ اکھ اکس بدل تہٖ چھِ آسان كُلُوْا مِنْ ثَمَرِهٖٓ اِذَآ اَثْمَرَ تمی فرمُوو ای لُوکو کھیو یمن سارِنی کُلین ہُند میوہ یلہِ سُو نیران آسہِ وَاٰتُوْا حَقَّهٗ يَوْمَ حَصَادِهٖ بیہِ آسِو یمن فصلن ہُند حق ادا کران یعنی زکوٰۃ دِوان یمہِ دوہہ بیہِ فصل ژٹان آسِو وَلَا تُسْرِفُوْا تتھ دِنس منز تہٖ مہ آسِو اِسراف کران اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْمُسْرِفِيْنَ پزِ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو نہ اِسراف کرن وٲلین پسند کران وَمِنَ الْاَنْعَامِ حَمُوْلَةً وَّفَرْشًا بیہِ کُرِ پیدہ اللہ تعالیٰ اَن چارپاو اندرہ بعضی چارپا یمِ تھدِ چھِ بُور تُلہ وٲنِ چھِ بیہِ یمِ ژھوٹِ تہٖ پست چھِ بُور تُلنس قابلِ چھِنہ كُلُوْا مِمَّا رَزَقَكُمُ اللّٰهُ وَلَا تَتَّبِعُوْا خُطُوٰتِ الشَّيْطٰنِ ای لُوکو کھیو بے فکرِ تمن جانورن ہُند ماز یمِ اللہ تعالیٰ اَن تُہندہِ خٲطرہ حلال کُرِ پانے پننہِ خیالہ کانہہ چیز حرام کرِتھ مہ پکِو شیطانس پتہ پتہ۔ سُو زانیون ناسُو کھہ چھُو اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ پزِ پاٹھِ سُو چھُو تُہند نون دُشمن باوجود آینکہ

ثَمٰنِيَةَ اَزْوَاجٍ ۚ مِنَ الضَّاْنِ اثْنَيْنِ وَمِنَ الْمَعْزِ اثْنَيْنِ ۭ
قُلْ ءٰۗالذَّكَرَيْنِ حَرَّمَ اَمِ الْاُنْثَيَيْنِ اَمَّا اشْتَمَلَتْ عَلَيْهِ
اَرْحَامُ الْاُنْثَيَيْنِ ۭ نَبِّـُٔوْنِيْ بِعِلْمٍ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿١٤٣﴾
وَمِنَ الْاِبِلِ اثْنَيْنِ وَمِنَ الْبَقَرِ اثْنَيْنِ ۭ قُلْ ءٰۗالذَّكَرَيْنِ
حَرَّمَ اَمِ الْاُنْثَيَيْنِ اَمَّا اشْتَمَلَتْ عَلَيْهِ اَرْحَامُ الْاُنْثَيَيْنِ ۭ
اَمْ كُنْتُمْ شُهَدَاۗءَ اِذْ وَصّٰىكُمُ اللّٰهُ بِھٰذَا ۚ فَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ

---

پرٕچھِ دِلیلہ سپزٕ توہہِ نشہِ واضح تہٕ رۄشن مگر سۄ چھُو توتہِ توہہِ راہِ راستہ نشہِ ڈالُن یژھان ثَمٰنِيَةَ اَزْوَاجٍ مِنَ الضَّاْنِ اثْنَيْنِ وَمِنَ الْمَعْزِ اثْنَيْنِ تِمِ چاروای یِمَن منز تُہہ پانے اَڑِ حلال تہٕ اَڑِ حرام کران چھُوِ کھہ یِم ساری کر خدایِنی پیدہ۔ یِمنی چھہِ آٹھ قسم۔ کٹھۄ اَندرہ زٕہ نر تہٕ مادہ بیہِ ژھاولیو اَندرہ زٕہ نر تہٕ مادہ قُلْ ءٰۗالذَّكَرَيْنِ حَرَّمَ اَمِ الْاُنْثَيَيْنِ تُہہ پرٕژھیُو کھہ یا رسُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم ای مُشرِکو نر زٕہ چھا خدایَن حرام کرمتِ کنہ مادہ زٕہ اَمَّا اشْتَمَلَتْ عَلَيْهِ اَرْحَامُ الْاُنْثَيَيْنِ کِنہ تِم کٹہِ بچہِ یا ژھاولِ بچہِ یِمن دۄشون قسمن ہنزٕہ مادہ پنہٕ نین رحمن منز تُلِت چھہٕ نَبِّـُٔوْنِيْ بِعِلْمٍ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ وَنومہِ اُمیک جواب کُنہِ دلیلہِ سیت ہر گہے تُہہ پۄز وَنہ وِن چھُوہ وَمِنَ الْاِبِلِ اثْنَيْنِ وَمِنَ الْبَقَرِ اثْنَيْنِ بیہِ چھُو اللہ تعالیٰ اَن پیدہ کُرمتِ وۄنٹو منزٕ تہِ زٕہ نر تہٕ مادہ بیہِ گاوو منزٕ تہِ زٕہ نر تہٕ مادہ قُلْ ءٰۗالذَّكَرَيْنِ حَرَّمَ اَمِ الْاُنْثَيَيْنِ پرٕژھتو کھہ تُہہ ای مُشرِکو وَنو زٕہ نر چھا حرام کُرمت خدایَن کِنہ زٕہ مادہ اَمَّا اشْتَمَلَتْ عَلَيْهِ اَرْحَامُ الْاُنْثَيَيْنِ کِنہ زٕہ بچہِ یِم یِہندین مادن ہندین رحمن اَندر چھہٕ۔ توہے دعویٰ چھُوہ کران کہِ اللہ تعالیٰ اَن چھہِ یِم حرام کرمتِ تتھہ پیٹھہ کُرِو کانہہ دِلیلاہ پیش۔ اَمِچ دلیل ہیکن زٕ چیز آسِتھہ۔ یا آسہِ اللہ تعالیٰ اَن کانسہِ پیغمبر یا ملکہ سندِہ ذریعہ توہہ فرمووُمت یا آسہِ تِم توہہِ بلاواسطہِ پانے فرمووُمت۔ گوڈنِکس صوٗرتس یعنی نبوتس چھُوِہ تُہہ اِنکار کران دۄیمس صورتس مُتعلق پرٕژھتو کھہ اَمْ كُنْتُمْ شُهَدَاۗءَ اِذْ وَصّٰىكُمُ اللّٰهُ بِھٰذَا کیاہ تُہہ آسِوہ تمہِ ساتہٕ حاضر یمہِ ساتہٕ اللہ تعالیٰ اَن توہہِ اَمہِ حلال کرُنک تہٕ

افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا لِّيُضِلَّ النَّاسَ بِغَيْرِ عِلْمٍ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا
يَهْدِى الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ ﴿۱۴۴﴾ ع قُلْ لَّاۤ اَجِدُ فِىْ مَاۤ اُوْحِىَ اِلَىَّ
مُحَرَّمًا عَلٰى طَاعِمٍ يَّطْعَمُهٗۤ اِلَّاۤ اَنْ يَّكُوْنَ مَيْتَةً اَوْ
دَمًا مَّسْفُوْحًا اَوْ لَحْمَ خِنْزِيْرٍ فَاِنَّهٗ رِجْسٌ اَوْ فِسْقًا
اُهِلَّ لِغَيْرِ اللّٰهِ بِهٖ ۚ فَمَنِ اضْطُرَّ غَيْرَ بَاغٍ وَّلَا عَادٍ فَاِنَّ
رَبَّكَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿۱۴۵﴾ وَعَلَى الَّذِيْنَ هَادُوْا حَرَّمْنَا كُلَّ

---

حرام ڪرڻ ڪُم فرمايو. يہ ھيڪونہ تہ ثابت ڪري ٿا. معلوم سڀڻ توھہ نشہ ڇھڻہ اٿہ پيٺھ ڪنھي دليل تہ
ڇهہ محض الله تعاليٰ اُس پيٺھ بلا دليل اپڙ تہ بُہتان نوورواوان فَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا
لِّيُضِلَّ النَّاسَ بِغَيْرِ عِلْمٍ پس ٿھہ اڪاہ ڇھوڙ ظالم تس شخصہ سندہ خو تہ يم اپڙ نوورو معبود بر حقس پيٺھ لو
ڪن گمراہ ڪرڻہ خيطرہ بلا دليل اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِى الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ پزپاڻھ الله تعاليٰ ڇھونہ نجاتچ نہ جنّتچ
وتھہ ھاوان ظالم لوڪن بلڪہ تھنز جاي ڇھہ نار جھنّم قُلْ لَّاۤ اَجِدُ فِىْ مَاۤ اُوْحِىَ اِلَىَّ مُحَرَّمًا عَلٰى طَاعِمٍ
يَّطْعَمُهٗۤ تُهہ فرماويُوکھہ يارسُول الله اي لوڪويو ڇھو سنہ لبان تمن اُحڪامن منز يم مہ ڪُن سوزنہ آي خدايہ
سندہ طرفہ ڪانہہ چيزاہ حرام يُس ڪانسہ کھيوہ وُنس پيٺھہ حرام آسہا اِلَّاۤ اَنْ يَّكُوْنَ مَيْتَةً اَوْ دَمًا
مَّسْفُوْحًا اَوْ لَحْمَ خِنْزِيْرٍ فَاِنَّهٗ رِجْسٌ مگرے آسہ خود مُردہ يا آسہ خون يُس بدنہ منزہ نيران ڇھو، يا
آسہ سورہ ماز يُس بے شڪ ڇھو بالڪُل ناپاڪ. تمسند ساري اجزائِ بدن ڇھہ ناپاڪ تہ حرام.
سُو ڇھو نجسُ العين يُس نہ ڪُنہ طريقہ پاڪ سپدہ اَوْ فِسْقًا اُهِلَّ لِغَيْرِ اللّٰهِ بِهٖ يا يُس جانور وغيرہ
شرڪُڪ ذريعہ بنہ يعني يُس جانور وغيرہ بقصد تقرُّب اِليٰ غير الله خدايَس وراي بيہ ڪانسہ ھُند قُرب تہ رضا
حاصِل ڪرنہ خيطرہ ذبح ڪرنہ آمُت آسہ اَدہ آستن سُو خدايہ سُند ناوَ ھيٿھي ذبح ڪرنہ آمُت فَمَنِ اضْطُرَّ
غَيْرَ بَاغٍ وَّلَا عَادٍ فَاِنَّ رَبَّكَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ پس يُس شخصاہ سخت مجبور سپدہ ڪانہہ چيز بنيس نہ کھينہ
خيطرہ تموِ حرام چيزٕ وورائے سُو شخصَے کھيہ تموَ حرام چيز واندرہ ڪينہہ تہ ڇھُو تَس جائيز. بشرطيڪہ ترٛشي

ذِیْ ظُفُرٍ ۚ وَ مِنَ الْبَقَرِ وَ الْغَنَمِ حَرَّمْنَا عَلَیْهِمْ شُحُوْمَهُمَاۤ

اِلَّا مَا حَمَلَتْ ظُهُوْرُهُمَاۤ اَوِ الْحَوَایَاۤ اَوْ مَا اخْتَلَطَ

بِعَظْمٍ ؕ ذٰلِكَ جَزَیْنٰهُمْ بِبَغْیِهِمْ ۖؗ وَ اِنَّا لَصٰدِقُوْنَ ﴿۱۴۶﴾

فَاِنْ كَذَّبُوْكَ فَقُلْ رَّبُّكُمْ ذُوْ رَحْمَةٍ وَّاسِعَةٍ ۚ وَ لَا یُرَدُّ

بَاْسُهٗ عَنِ الْقَوْمِ الْمُجْرِمِیْنَ ﴿۱۴۷﴾ سَیَقُوْلُ الَّذِیْنَ اَشْرَكُوْا

---

ہَن کھیہِ یمہِ سیت زِندہ ہیکہِ رُوزِت سوٗڈلہِ نہ کھیٚنس اَندر حدہ نِشہِ بیہِ آسہِ نہ خدایہِ سندِس حُکمس نافرمانی کرہٕوٗن تہٕ طالبِ لذّت تہٕ مزہ ژھانڈہٕوٗن۔ تَس چھہٕ اُمید بخشایشہِ ہنز۔ کیازہ اللہ تعالیٰ چھُو سٹھاہ مغفرت کرہٕوٗن سٹھاہ رحم کرہٕوٗن وَعَلَى الَّذِیْنَ هَادُوْا حَرَّمْنَا كُلَّ ذِیْ ظُفُرٍ بیہِ کر اَسہِ یُہودن پیٹھہ حرام پریتھہ تِمہ ووٚل جانور یُس نہ انجہ الگ الگ آسن بلکہِ آسنس مِلہ وِتھہ سوٗ گووونٹھ، گُر، شُتر مرغ، اَنز، بطخ وغیرہ وَمِنَ الْبَقَرِ وَالْغَنَمِ حَرَّمْنَا عَلَیْهِمْ شُحُوْمَهُمَاۤ گاوٕ تہٕ کٹوٗ اَندرہ کٔر اَسہِ حرام تِمن پیٹھہ تہنز چربی اِلَّا مَا حَمَلَتْ ظُهُوْرُهُمَاۤ اَوِ الْحَوَایَاۤ اَوْ مَا اخْتَلَطَ بِعَظْمٍ مگر نہ سوٗ چرب یُس تہندٕیَن پُشتن پیٹھہ آسہِ یا اندرمن سیت آسہِ یا اُنہِ اڈجہ سیت میلیتھہ آسہِ۔ اَمہ ورای آسکھ سارِی چربی حرام یمہِ چیز آسِ نہ فی نفسہٖ حرام کینہہ تہٕ۔ مگر ذٰلِكَ جَزَیْنٰهُمْ بِبَغْیِهِمْ وَاِنَّا لَصٰدِقُوْنَ یہِ سزا دُیت اَسہِ تِمن تہنزِ سرکشی موٗکھہ۔ اَسِ چھہِ یقیناً پوٗزونان فَاِنْ كَذَّبُوْكَ فَقُلْ رَّبُّكُمْ ذُوْ رَحْمَةٍ وَّاسِعَةٍ پَس ہر گاہ توتہٕ تِمِ دُشمن توہہِ اِنکاری کرن، نعوذُ باللہ اَپزِس گُن نسبت کرن یمہِ کتھہِ موٗکھہ کہِ تِمن کونہ چھُوادہ عذاب نازِل سپدان، توٗہِ فرماویُکھ تہنٛد پروردگار چھُو وسیع رَحمتہ ووٚل۔ بعضے حکمتوٚ موٗکھہ چھُو نہ سوٗ نافرمانن جلد گرِفتارِ عذاب کران۔ مگر تہٕ مہ زانو ہمیشہ روزِہ یوٗہے حال۔ نہ بلکہ یمہِ وقتہٕ عذابُک وقت (یُس مقرّر کرنہ آمُت چھُو) واتہِ وَلَا یُرَدُّ بَاْسُهٗ عَنِ الْقَوْمِ الْمُجْرِمِیْنَ تمہِ ساتہٕ ہیکہ نہ تہُند سوٗ عذاب کانہہ اَکھ دُور کٔرِتھ تہٕ پتھہ رٹِتھہِ نافرمانن تہٕ گُنہگار لوٗکن نِشہِ سَیَقُوْلُ الَّذِیْنَ اَشْرَكُوْا لَوْ شَآءَ اللّٰهُ مَاۤ اَشْرَكْنَا وَلَاۤ اٰبَآؤُنَا وَلَا حَرَّمْنَا مِنْ شَیْءٍ مُشرِک

لَوْ شَآءَ اللّٰهُ مَآ اَشْرَكْنَا وَلَآ اٰبَآؤُنَا وَلَا حَرَّمْنَا مِنْ شَيْءٍ ؕ كَذٰلِكَ كَذَّبَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ حَتّٰى ذَاقُوْا بَاْسَنَا ؕ قُلْ هَلْ عِنْدَكُمْ مِّنْ عِلْمٍ فَتُخْرِجُوْهُ لَنَا ؕ اِنْ تَتَّبِعُوْنَ اِلَّا الظَّنَّ وَاِنْ اَنْتُمْ اِلَّا تَخْرُصُوْنَ ﴿۱۴۸﴾ قُلْ فَلِلّٰهِ الْحُجَّةُ الْبَالِغَةُ ۚ فَلَوْ شَآءَ لَهَدٰىكُمْ اَجْمَعِيْنَ ﴿۱۴۹﴾ قُلْ هَلُمَّ شُهَدَآءَكُمُ

---

ہین وُنِ زِہ ہرگاہ اللہ تعالیٰ یژھِہ ہاتلہِ نہ کرہ ہوٗاَسِ شرِک نہ کرہ ہن سانِ مالِ بُڈ بب شرِک۔ نہ کرہ ہوٗاَسِ کانہہ چیز حرام۔ نہ آسہَن کران سانِ مالِ۔ بڈُ بب۔ سُپد مَعلوم کہ اللہ تعالیٰ اَس چھُونہ یہ ناپسند کینہہ تہِ۔ كَذٰلِكَ كَذَّبَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ تِتھے پاٹھِ چھُو اِنکار کورمُت تِموٚ تِمَن برونٹھ کافرِ آسِ یِمہ کَتھہ تہ یہ جواب دِمنُ چھُہ محض غلط تہ باطِل۔ اَمہِ سیت چھُو لازِم یِوان پیغمبرن ہنداپز وُنن نعُوذ باللہ لہٰذا یِموٚ تِموٚ لُوکو پیغمبرن تکذِیب کور۔ تمِ آی عذابس گرفتار کرنہ۔ چنانچہِ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان حَتّٰى ذَاقُوْا بَاْسَنَا تِمُی موٚکھہ ژُھ تِموٚ سانہ عذابُک مزہ۔ تِتھے پاٹھِ ژہَن تِمِ کافرِ تہِ ضرور عذابُک مزہ قُلْ هَلْ عِنْدَكُمْ مِّنْ عِلْمٍ فَتُخْرِجُوْهُ لَنَا تُہہ فرماوٚ یوٚکھہ یارسُول اللہ ای کافرو کِیاہ توٚہہ نِش چھا کانہہ دَلیلاہِ اَتھہ کتھہ پیٹھہ کہ اللہ تعالیٰ اَن دِژ توٚہہِ قدُرت شرک کرنچ یا حلال چیز حرام کرنچِ یِمہِ اندرہ معلُوم سپد یُس سُو چھُو اَتھہ پیٹھ راضی، پَچھے توٚہہ نِشہ اَتھہ پیٹھہ کانہہ دلیلاہ سوٚکھر وِ پیش۔ دلیل وغیرہ چھنہ توٚہہِ نِشہِ کینہہ اِنْ تَتَّبِعُوْنَ اِلَّا الظَّنَّ وَاِنْ اَنْتُمْ اِلَّا تَخْرُصُوْنَ تُہہ چھُوہ نہ پیروی کران مگر خیالی کتھن۔ بیہِ چھوہِ نہ تُہہ مگر غلط اندازہ کران۔ اَتھکلہ سیت کتھہ کران قُلْ فَلِلّٰهِ الْحُجَّةُ الْبَالِغَةُ فرماوُیوٚکھہ تُہہ یارسُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم یِموٚ دوٚشوی جوابو سیت سُپد معلوم کہ خدایہ سنزی دلیل چھ کامِل تہ پوٗر۔ تہنز دلیل چھہ باطِل غلط۔ اَتھ اوس لازم تہٕ ساری گژھِہن راہِ راستس پیٹھہ مگر تمیُک توفیق تہِ چھُو خدایسی اَتھہِ فَلَوْ شَآءَ لَهَدٰىكُمْ اَجْمَعِيْنَ پَس ہرگاہ سُو یژھِہ ہا توٚہہ ساری ہاوِہ ہاوَتھہ۔ مگر اللہ تعالیٰ اَس چھہ پننہِ نیِن سارنی کامین اندر بجہ بجہِ حکمت۔ سُو یَس یژھان چھُو تَس چھُو ہدایت کران۔ یَس نہ

الَّذِيْنَ يَشْهَدُوْنَ اَنَّ اللّٰهَ حَرَّمَ هٰذَا ۚ فَاِنْ شَهِدُوْا فَلَا تَشْهَدْ مَعَهُمْ ۚ وَلَا تَتَّبِعْ اَهْوَآءَ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَالَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ وَهُمْ بِرَبِّهِمْ يَعْدِلُوْنَ ۝١٥٠ قُلْ تَعَالَوْا اَتْلُ مَا حَرَّمَ رَبُّكُمْ عَلَيْكُمْ اَلَّا تُشْرِكُوْا بِهٖ شَيْئًا وَّبِالْوَالِدَيْنِ اِحْسَانًا ۚ وَلَا تَقْتُلُوْٓا اَوْلَادَكُمْ مِّنْ اِمْلَاقٍ ۭ نَحْنُ نَرْزُقُكُمْ وَاِيَّاهُمْ ۚ وَلَا تَقْرَبُوا

پڑهان پچهو تس پچهو نه کينهه ته بنان قُلْ هَلُمَّ شُهَدَآءَكُمُ الَّذِيْنَ يَشْهَدُوْنَ اَنَّ اللّٰهَ حَرَّمَ هٰذَا فرماويوکهه تهه که برونٹھ کن انيوکهه تهه تم گواه يم يه گواهي دِن که واقعي الله تعالیٰ ان کياه کريم چيز حرام تمن هنز ذکر کرنه آيه فَاِنْ شَهِدُوْا فَلَا تَشْهَدْ مَعَهُمْ پس هر گاه تم بالفرض گواهي دِن که توته گژهه نه تهنديار سول الله تهندِس ونه تس اعتبار کرن ته تهنز گواهي قبول کرن۔ وَلَا تَتَّبِعْ اَهْوَآءَ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا بيه مه کر و پيروي تمن لوکن هنزن خواهشن يمو اپز زانِ سان آيات۔ وَالَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ وَهُمْ بِرَبِّهِمْ يَعْدِلُوْنَ بيه يمن نه پژهه چهه آخرتچ بيه چهه تم پنه نس پروردگارس سيت معبود آسنس اندر مخلوقو اندره بين برابر تهاوان، شريک زانان قُلْ تَعَالَوْا اَتْلُ مَا حَرَّمَ رَبُّكُمْ عَلَيْكُمْ اَلَّا تُشْرِكُوْا بِهٖ شَيْئًا فرماويوکهه تهه يار سول الله ﷺ ولو يو پرووه کياه کياه چهو حرام کورمت تهنده پروردگارن توهه پیٹھ۔ تم چيز چهه يم۔ اکه چيز گواي زه شريک مه ٹھراوو تس مخلوقو اندره کانهه چيز اه۔ خدايس کنهِ قسمه شريک ٹھراون چهو حرام وَّبِالْوَالِدَيْنِ اِحْسَانًا بيه مه کر ومالس ماجه نسبت نافرماني۔ بلکه کر و تمن سيت احسان۔ تهنز نافرماني کرن، تمن سيت بدسلوکي کرن چهه حرام۔ وَلَا تَقْتُلُوْٓا اَوْلَادَكُمْ مِّنْ اِمْلَاقٍ نَحْنُ نَرْزُقُكُمْ وَاِيَّاهُمْ بيه مه ماريوکهه اولاد پنن فقره، تنگدستي ته افلاسکه سببه۔ يتهه پاٹهه زمانه جاهليتس منز لوکهه کران آس۔ اسِ دِموه توهه ته رزق بيه تمن ته اولاد مارن ته قتل کرن چهو حرام وَلَا تَقْرَبُوا الْفَوَاحِشَ مَا ظَهَرَ مِنْهَا وَمَا بَطَنَ بيه مه آسو نزديک

الْفَوَاحِشَ مَا ظَهَرَ مِنْهَا وَمَا بَطَنَ ۚ وَلَا تَقْتُلُوا النَّفْسَ الَّتِي
حَرَّمَ اللَّهُ إِلَّا بِالْحَقِّ ۚ ذَٰلِكُمْ وَصَّاكُم بِهِ لَعَلَّكُمْ تَعْقِلُونَ ﴿١٥١﴾
وَلَا تَقْرَبُوا مَالَ الْيَتِيمِ إِلَّا بِالَّتِي هِيَ أَحْسَنُ حَتَّىٰ
يَبْلُغَ أَشُدَّهُ ۖ وَأَوْفُوا الْكَيْلَ وَالْمِيزَانَ بِالْقِسْطِ ۖ لَا نُكَلِّفُ
نَفْسًا إِلَّا وُسْعَهَا ۖ وَإِذَا قُلْتُمْ فَاعْدِلُوا وَلَوْ كَانَ ذَا قُرْبَىٰ ۖ
وَبِعَهْدِ اللَّهِ أَوْفُوا ۚ ذَٰلِكُمْ وَصَّاكُم بِهِ لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُونَ ﴿١٥٢﴾

یِوان بے حیائی تہٕ نافرمانی ہنزن کامین نہ نٔنِ پاٹھہِ تہٕ نہ پوشیدہ پاٹھہِ۔ پریتھ طریقہ بدکاری تہٕ زنا چھُو حرام۔ وَلَا تَقْتُلُوا النَّفْسَ الَّتِي حَرَّمَ اللَّهُ إِلَّا بِالْحَقِّ بیٚیہ مہ ماریُون کانہہ شخصاہ یمُسند مارُن اللہ تعالیٰ ان حرام کور مگرے کانہہ پزپاٹھہِ قتلس سزاوار آسہِ سپدمُت بیاکھ شخص ناحق مارنہ سیت ذَٰلِكُمْ وَصَّاكُم بِهِ لَعَلَّكُمْ تَعْقِلُونَ امیک چھُوہ اللہ تعالیٰ تاکیدہ سان حُکم فرماوان یُتھ تُہہ وارہ زانِو تہٕ فکرہ تارِو تو پتہ کرِو تمی موجب عمل وَلَا تَقْرَبُوا مَالَ الْيَتِيمِ إِلَّا بِالَّتِي هِيَ أَحْسَنُ حَتَّىٰ يَبْلُغَ أَشُدَّهُ بیٚیہ مہ آسوِ یتیمہ سندِس مالس نِکھہ یِوان مگر تمی وتہِ یُوسہ رٔژ تہٕ مُفید آسہِ۔ یمہِ سیت تتھ مالس حفاظت واتہ، نقصانہ نشہِ روزہِ محفوظ یُوتان سو یتیم پانہ بالغ تہٕ گاٹُل سپدِہ۔ مال یتیم کھیون چھُو حرام وَأَوْفُوا الْكَيْلَ وَالْمِيزَانَ بِالْقِسْطِ بیٚیہ چھُو اللہ تعالیٰ حُکم کران زِہ مینان تہٕ تُولان آسوِ پور پور، اِنصافہ تہٕ عدلہ سان۔ اتھہ منز دغا تہٕ دھُوکہ دیُون چھُو حرام۔ یمِ اَحکام مُشکل تہٕ دَشوار چھِنہ کیازِہ لَا نُكَلِّفُ نَفْسًا إِلَّا وُسْعَهَا اَس چھِنہِ کانسہِ اَکس تکلیف دِوان مگر تتُوی یُوت سُوہیکہِ پتھ کیازِہ چھہ یِمن اَحکامَن ہندس تعمیل کرنس منز سُستی کرنہ یِوان وَإِذَا قُلْتُمْ فَاعْدِلُوا وَلَوْ كَانَ ذَا قُرْبَىٰ اگرچہ مُعاملہ آستن توہہِ کانسہِ آشناسُند یا کانسہِ دُوستہ سُند بیٚیہ یمہِ ساتہ تُہہ کُنہِ فیصلس یا شہادتَس منز کانہہ کتھاہ آسوِ کران سٔو آسیوِ پزوَنان تمہِ ساتہ عدل وانصافس خلاف کتھہ کرن چھہ حرام۔ وَبِعَهْدِ اللَّهِ أَوْفُوا بیٚیہ آسوِ خدایہِ سندِس عہدس وفا کران۔ بدعہدی تہٕ وفانہ کرُن چھُو حرام ذَٰلِكُمْ وَصَّاكُم بِهِ لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُونَ بیٚیہ سار

وَاَنَّ هٰذَا صِرَاطِیْ مُسْتَقِیْمًا فَاتَّبِعُوْهُ ۚ وَلَا تَتَّبِعُوا السُّبُلَ فَتَفَرَّقَ بِكُمْ عَنْ سَبِیْلِهٖ ؕ ذٰلِكُمْ وَصّٰىكُمْ بِهٖ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ ﴿۱۵۳﴾ ثُمَّ اٰتَیْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ تَمَامًا عَلَى الَّذِیْۤ اَحْسَنَ وَتَفْصِیْلًا لِّكُلِّ شَیْءٍ وَّهُدًى وَّرَحْمَةً لَّعَلَّهُمْ بِلِقَآءِ رَبِّهِمْ یُؤْمِنُوْنَ ﴿۱۵۴﴾ ع وَهٰذَا كِتٰبٌ اَنْزَلْنٰهُ مُبٰرَكٌ فَاتَّبِعُوْهُ وَاتَّقُوْا لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ ﴿۱۵۵﴾ اَنْ تَقُوْلُوْۤا اِنَّمَاۤ اُنْزِلَ الْكِتٰبُ عَلٰى طَآىِٕفَتَیْنِ

---

کوی کروہ اللہ تعالیٰ اَن تاکیدی حُکم یُتھہ تُہہ یاد تھاوِو تہ عمل کٔرِو۔ وَاَنَّ هٰذَا صِرَاطِیْ مُسْتَقِیْمًا فَاتَّبِعُوْهُ یمن حُکمن ہنز چھنہ زیادہ خصوصیّت۔ بیہِ کروہ اللہ تعالیٰ اَن حُکم کہ یہ دینِ اسلام بیہِ تمکِ ساری احکام یہے چھوہ میانِ سیز وَتھ امی وَتہِ پکِو۔ وَلَا تَتَّبِعُوا السُّبُلَ بیہِ وَتومہ پکِو۔ فَتَفَرَّقَ بِكُمْ عَنْ سَبِیْلِهٖ تمہِ وتہ کرنوہ جُداتہ دُور خدایہ سنزہ سیزِہ وَتہِ نشہِ ذٰلِكُمْ وَصّٰىكُمْ بِهٖ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ امہِ کٔوی کوروہ توہہِ اللہ تعالیٰ اَن تاکیدی حُکم یُتھہ تُہہ باقی وَتونشہِ پتھہ روزِو۔ راہِ راستہ نشہِ بیہِ کانہہ وتھہ اختیار کرنِ چھُو حرام ثُمَّ اٰتَیْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ تَمَامًا عَلَى الَّذِیْۤ اَحْسَنَ وَتَفْصِیْلًا لِّكُلِّ شَیْءٍ شرکس ردّ کرنہ پتہ چھہ اَس مسئلہ نبوتس مُتعلق مضمون بیان کران کہ اَسہِ حض سوزوہ نہ تُہی یاتِ پیغمبر بناوِتھہ یتھہ پیٹھہ لُوکن تردّد تہ شُبہ سپدان چھُو بلکہ سوزاسہِ توہہِ برونٹھ حضرتِ موسیٰ پیغمبر بناوتھہ۔ تو پتہ کٔرِ اَسہِ عطا حضرتِ موسیٰ اَس کِتاب یعنی تورات۔ پنِنِ نعمت پوٗرہ کرنہ خیطرہ تِمن لُوکن پیٹھہ یمو تمہِ موجُب رٔژہ عملہ کرِہ بیہِ ضروری اَحکامَن ہُند بیان تہ تفصیل کرنہ خیطرہ وَّهُدًى وَّرَحْمَةً لَّعَلَّهُمْ بِلِقَآءِ رَبِّهِمْ یُؤْمِنُوْنَ بیہِ یُتھہ تمکہِ واسطہ سارنیٔ لُوکن رُہنمائی سپدِہ بیہِ بڈِ رحمت تعمیلِ احکام کرہ وِنین ہندہ خیطرہ۔ یہ امہِ قسمچ کِتاب سوٗزاسہِ یُتھہ تمِ لُوکھ یعنی بنی اسرائیل پنہ نِس خدائس سیت ملاقات کرہ نس پڑھہ کرن۔ تتھہِ اعتقادس ماتحت کرن سارِنی حُکمن پیٹھ عمل یلہِ تمہِ کِتابہِ ہُند تہ انجیلک دور ختم سپد وَهٰذَا كِتٰبٌ اَنْزَلْنٰهُ مُبٰرَكٌ فَاتَّبِعُوْهُ وَاتَّقُوْا لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ یمو دویوٗ کِتابوٗ پتہ چھُو یہِ قرآنِ مجید

مِنْ قَبْلِنَا ۠ وَاِنْ كُنَّا عَنْ دِرَاسَتِهِمْ لَغٰفِلِيْنَ ﴿۱۵۶﴾ اَوْ تَقُوْلُوْا لَوْ اَنَّآ اُنْزِلَ عَلَيْنَا الْكِتٰبُ لَكُنَّآ اَهْدٰى مِنْهُمْ ۚ فَقَدْ جَآءَكُمْ بَيِّنَةٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ وَهُدًى وَّرَحْمَةٌ ۚ فَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنْ كَذَّبَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَصَدَفَ عَنْهَا ۭ سَنَجْزِي الَّذِيْنَ يَصْدِفُوْنَ عَنْ اٰيٰتِنَا سُوْۗءَ الْعَذَابِ بِمَا كَانُوْا يَصْدِفُوْنَ ﴿۱۵۷﴾ هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّآ اَنْ تَاْتِيَهُمُ الْمَلٰۗىِٕكَةُ اَوْ يَاْتِيَ رَبُّكَ اَوْ يَاْتِيَ

---

۽ ڪتاب هي جيڪو اسان نازل ڪيو ـ بابرڪت ڪتاب آهي. پس ڪريو ان جي پيروي. ڪُوڙو خدا ايس. پڇه روزو تسنز نافرماني ڪريو نه ته پوءِ توهه پڇه رحم ڪيو ويندو. اَنْ تَقُوْلُوْٓا اِنَّمَآ اُنْزِلَ الْكِتٰبُ عَلٰى طَآىِٕفَتَيْنِ مِنْ قَبْلِنَا وَاِنْ كُنَّا عَنْ دِرَاسَتِهِمْ لَغٰفِلِيْنَ بيه ڪو راسه يه قرآن مجيد نازل ٿيو نه ته ونته هيڪو قيامتڪ ڏوه ڪه آسماني ڪتاب آس نازل ڪرنه آمڙاسه بروٿه ڏون فرقن پيٺه يهودن ته نصاريٰ ان پيٺه اس آس تمڪه پرنه نشه بي خبر اَوْ تَقُوْلُوْا لَوْ اَنَّآ اُنْزِلَ عَلَيْنَا الْكِتٰبُ لَكُنَّآ اَهْدٰى مِنْهُمْ بيه يُٿهنه ونتهِ هيڪو برو نٿهين باايمانن ثواب حاصل سپدنه ڪه وقته ڪه هرگاه اسه پيٺه ته ڪتاباه نازل ييه هاڪرنه. اس ته آسهو ٿهنده خو ته زياده هدايت لبه ون. لهذا اروزنه ڪانهه گنجايش ٿوهه ڪنه قسم ڪٿه ڪرنچ فَقَدْ جَآءَكُمْ بَيِّنَةٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ وَهُدًى وَّرَحْمَةٌ پس بتحقيق واتڙ توهه نشه يه ڪتاب يوسه ٻڊ دليل ڇهه ٿهندس پروردگاره سنده طرفه بيه بوڊ هدايت ته بڊر رحمت. فَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنْ كَذَّبَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَصَدَفَ عَنْهَا وين ڪهه اڪهاه ڇهو يڙ ظالم تس شخصه سنده خو ته تم اپزان خدايه سند تم آيات. بيه ڦرن بتهه تموَ آيا تو نشه سَنَجْزِي الَّذِيْنَ يَصْدِفُوْنَ عَنْ اٰيٰتِنَا سُوْۗءَ الْعَذَابِ بِمَا كَانُوْا يَصْدِفُوْنَ عنقريب دموا اس سزا تمن لوڪن تم بتهه ڦران ڇهه سانيو آيا تو نشه. تچهه عذابو سيت تهنده اعراض ڪرنه ته بتهه ڦرنڪه سببه هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّآ اَنْ تَاْتِيَهُمُ الْمَلٰۗىِٕكَةُ اَوْ يَاْتِيَ رَبُّكَ اَوْ يَاْتِيَ بَعْضُ اٰيٰتِ رَبِّكَ معلوم ڇهو سپد ان تم ڇهنه انتظار ڪران مگر اته ڪٿه ڪه تمن نشه واتن ملايڪ نته پانه ٿهند پروردگار ـ نته

بَعْضُ اٰيٰتِ رَبِّكَ ۭ يَوْمَ يَاْتِيْ بَعْضُ اٰيٰتِ رَبِّكَ لَا يَنْفَعُ نَفْسًا
اِيْمَانُهَا لَمْ تَكُنْ اٰمَنَتْ مِنْ قَبْلُ اَوْ كَسَبَتْ فِيْٓ اِيْمَانِهَا خَيْرًا ۭ قُلِ
انْتَظِرُوْٓا اِنَّا مُنْتَظِرُوْنَ ﴿١٥٨﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ فَرَّقُوْا دِيْنَهُمْ وَكَانُوْا شِيَعًا
لَّسْتَ مِنْهُمْ فِيْ شَيْءٍ ۭ اِنَّمَآ اَمْرُهُمْ اِلَى اللّٰهِ ثُمَّ يُنَبِّئُهُمْ بِمَا كَانُوْا
يَفْعَلُوْنَ ﴿١٥٩﴾ مَنْ جَاۗءَ بِالْحَسَنَةِ فَلَهٗ عَشْرُ اَمْثَالِهَا ۚ وَمَنْ جَاۗءَ
بِالسَّيِّئَةِ فَلَا يُجْزٰٓى اِلَّا مِثْلَهَا وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ ﴿١٦٠﴾ قُلْ اِنَّنِيْ

---

واتہِ تمن نِشہِ تُھندِ س پروردگارہ سُند کانہہ بوڈ نشانہ قیامتہ کیو نشانو ائندرہ یعنی مغربہ کہِ طرفہ آفتاب کھسُن۔ وارہ بُوزِن تمِ کہِ يَوْمَ يَاْتِيْ بَعْضُ اٰيٰتِ رَبِّكَ لَا يَنْفَعُ نَفْسًا اِيْمَانُهَا لَمْ تَكُنْ اٰمَنَتْ مِنْ قَبْلُ اَوْ كَسَبَتْ فِيْٓ اِيْمَانِهَا خَيْرًا تمہِ دوہہ تھندِ س پروردگارہ سُند سُو بوڈ نشانہ ظاہرِ سپدِہ تمہِ دوہہ دِیہ نہ کانسہِ شخصس کانہہ فائدہ تہ نفع ایمان اُنِ تہ پڑھہ کرنِ یم نہ تمہِ برونٹھ ایمان آسہ اُونمت یا آسین نہ ایمان انِتھ کانہہ رژ کاماہ کرمژ بلکہِ آسنس یچھ کامے کرِہ مژہ تمہِ دوہہ چھُو نہ اِیمان انہ نس اعتبار نہ توبہ کرِ نس نہ گُنہن مغفرت منگہ نس اعتبار قُلِ انْتَظِرُوْٓا اِنَّا مُنْتَظِرُوْنَ فرماوِیُو کھ تُہہ کہِ ہرگاہ تُہہ اتھ انتظاریڑھان چھوہ کرُن کرِو تلہِ انتظار۔ اسِ تہِ چھہِ اَپزِ س تہ پزِ س منز فیصلہ سپدنس انتظار کران اِنَّ الَّذِيْنَ فَرَّقُوْا دِيْنَهُمْ وَكَانُوْا شِيَعًا لَّسْتَ مِنْهُمْ فِيْ شَيْءٍ ۭ اِنَّمَآ اَمْرُهُمْ اِلَى اللّٰهِ ثُمَّ يُنَبِّئُهُمْ بِمَا كَانُوْا يَفْعَلُوْنَ پزِ پاٹھِ تمو لُو کو دِینس پنہ نِس چھلہ کرِہ تہ بیون بیون کورُکھ یعنی دین حق کورُکھ نہ پُور پُور قُبول یا کورُکھ اوڈ قُبول تہ اوڈ ترووُکھ۔ دِینس اَندر نوور اویکھ شرِک وبد عتچہِ کتھہ۔ بیہِ بنیای الگ الگ جماژ تہ فرقہ۔ تُوہہ چھُونہ تمن سیت کانہہ تعلُق۔ تُہند مُعاملہ چھُو سُپرد اللہ تعالیٰ اَس۔ سُو ونہِ پانے تمن تمہِ سارے کتھہ یہِ تمِ کران آسِ مَنْ جَاۗءَ بِالْحَسَنَةِ فَلَهٗ عَشْرُ اَمْثَالِهَا یُس اکھاہ اکھ نیکی ہیتھ اِیہِ تسندِہ خیطرہ چھہ تژھے دہ نیکی۔ یعنی اللہ تعالیٰ کریس اَکس نیکی دہن نیکین ہُند ثواب عطا۔ وَمَنْ جَاۗءَ بِالسَّيِّئَةِ فَلَا يُجْزٰٓى اِلَّا مِثْلَهَا وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ بیہِ یُس اکھاہ اکھ بدی ہیتھ یِیہ پَس یِیہِ نہ تَس سزادِنہ مگر اکی بدی ہُند۔ گُنھگارن، بدکارن

هَدٰىنِيۡ رَبِّيۡۤ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسۡتَقِيۡمٍ ۚ دِيۡنًا قِيَمًا مِّلَّةَ اِبۡرٰهِيۡمَ
حَنِيۡفًا ۚ وَمَا كَانَ مِنَ الۡمُشۡرِكِيۡنَ ﴿۱۶۱﴾ قُلۡ اِنَّ صَلَاتِيۡ وَنُسُكِيۡ وَ
مَحۡيَاىَ وَمَمَاتِيۡ لِلّٰهِ رَبِّ الۡعٰلَمِيۡنَ ﴿۱۶۲﴾ لَا شَرِيۡكَ لَهٗ ۚ وَبِذٰلِكَ اُمِرۡتُ
وَاَنَا اَوَّلُ الۡمُسۡلِمِيۡنَ ﴿۱۶۳﴾ قُلۡ اَغَيۡرَ اللّٰهِ اَبۡغِيۡ رَبًّا وَّهُوَ رَبُّ كُلِّ شَيۡءٍ ؕ
وَلَا تَكۡسِبُ كُلُّ نَفۡسٍ اِلَّا عَلَيۡهَا ۚ وَلَا تَزِرُ وَازِرَةٌ وِّزۡرَ اُخۡرٰى ۚ ثُمَّ اِلٰى
رَبِّكُمۡ مَّرۡجِعُكُمۡ فَيُنَبِّئُكُمۡ بِمَا كُنۡتُمۡ فِيۡهِ تَخۡتَلِفُوۡنَ ﴿۱۶۴﴾ وَهُوَ الَّذِيۡ

---

ظُلم یِیہ نہ کرنہ قُلۡ اِنَّنِيۡ هَدٰىنِيۡ رَبِّيۡۤ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسۡتَقِيۡمٍ دِيۡنًا قِيَمًا مِّلَّةَ اِبۡرٰهِيۡمَ حَنِيۡفًا وَمَا كَانَ
مِنَ الۡمُشۡرِكِيۡنَ فرماوُیوکھ تُہہ یارسول اللہ پزپاٹ مہِ ہاو وَتھ پروردگارن پنِن راہ راستس کُن، مضبوط
دِینَس کُن یتھ منزنہ کُنہِ قسمہ کجر چھُو۔ حضرت ابراہیمہ سندِس مِلتس کُن یُس اَپزیو دینو نشہِ پنز س
دِنیس کُن پھرِ ہ ؤن اُوس۔ بیہ اُوس نہ سوُمشر کو اندرہ قُلۡ اِنَّ صَلَاتِيۡ وَنُسُكِيۡ وَمَحۡيَاىَ وَمَمَاتِيۡ لِلّٰهِ رَبِّ
الۡعٰلَمِيۡنَ * لَا شَرِيۡكَ لَهٗ وَبِذٰلِكَ اُمِرۡتُ وَاَنَا اَوَّلُ الۡمُسۡلِمِيۡنَ فرماویوکھ تُہہ پزپاٹھِ میانِ نماز بیہِ میانِ
سارِی عبادت بیہِ مُیون زِندہ روزُن بیہِ میون مرن، یہِ سورُوی چھُو خاص خدایہِ سِندی خیطرہ تھند س
اِختیارس اندر یُس کل جہانک پروردگار چھُو۔ تَس چھُونہ شریک کانہہ مہ آو امکوی حُکم کرنہ۔ بُو چھُوس
خدایہ سندیو فرمانبردار بندو اندرِہ گوڈنکوی فرمانبردار قُلۡ اَغَيۡرَ اللّٰهِ اَبۡغِيۡ رَبًّا وَّهُوَ رَبُّ كُلِّ شَيۡءٍ فرماویوکھ
تُہہ ای کافرو کیاہ بُو ژھانڈنہ معبودِ برحقس ورای بیہِ کانہہ پروردگارہ حالنکہِ سُوی چھُو پرِیتھ کُنہِ چیزک
پروردگار وَلَا تَكۡسِبُ كُلُّ نَفۡسٍ اِلَّا عَلَيۡهَا کانہہ شخصاہ کرہ نہ کانہہ کاماہ مگر تمیُک بُور چھُو تَس پانَس پیٹھ
تلُن وَلَا تَزِرُ وَازِرَةٌ وِّزۡرَ اُخۡرٰى کانہہ اکھاہ تُلہِ نہ بیہ کانسہِ ہُند بُور پانَس پیٹھ ثُمَّ اِلٰى رَبِّكُمۡ مَّرۡجِعُكُمۡ
فَيُنَبِّئُكُمۡ بِمَا كُنۡتُمۡ فِيۡهِ تَخۡتَلِفُوۡنَ تو پتہ چھُوِہ تُہہ پنہ نِسی پروردگارس کُن رجُوع کرُن پَس گرِہ سُوی توہہ
خبر تمہِ سارِچی یتھ منز تُہہ اِختلاف کران آسوِہ وَهُوَ الَّذِيۡ جَعَلَكُمۡ خَلٰٓئِفَ الۡاَرۡضِ وَرَفَعَ بَعۡضَكُمۡ فَوۡقَ

جَعَلَكُمْ خَلٰٓئِفَ الْاَرْضِ وَرَفَعَ بَعْضَكُمْ فَوْقَ بَعْضٍ دَرَجٰتٍ لِّيَبْلُوَكُمْ فِيْ مَآ اٰتٰىكُمْ ۭ اِنَّ رَبَّكَ سَرِيْعُ الْعِقَابِ ڮ وَاِنَّهٗ لَغَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿۱۶۵﴾

---

بَعْضٍ دَرَجٰتٍ لِّيَبْلُوَكُمْ فِيْ مَآ اٰتٰىكُمْ بیہ چھُو سُو پروردگار سُوی یَمِ تُہہ زمینس اَندر پننِ نائیب بناوِوہ بیہ کرُن تُہہ اندرہ بعضَین ہُند مرتبہ بُلند بعضَین پیٹھہ یُتھہ توہہ سُو آزمائش کرِہ تمِن نعمژن اَندر یِمہ توہہِ عطا کرنوہ اِنَّ رَبَّكَ سَرِيْعُ الْعِقَابِ وَاِنَّهٗ لَغَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ پزپاٹھ پروردگار چھُو جلد سزادِوُن بیہِ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہوون سیٹھاہ رحم کرُہوون



## سُورَةُ الأَعْرَافِ

بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ

الٓمّٓصٓ ﴿۱﴾ کِتٰبٌ اُنْزِلَ اِلَیْکَ فَلَا یَکُنْ فِیْ صَدْرِکَ حَرَجٌ مِّنْهُ لِتُنْذِرَ بِهٖ وَذِکْرٰی لِلْمُؤْمِنِیْنَ ﴿۲﴾ اِتَّبِعُوْا مَآ اُنْزِلَ اِلَیْکُمْ مِّنْ رَّبِّکُمْ وَلَا تَتَّبِعُوْا مِنْ دُوْنِهٖٓ اَوْلِیَآءَ ؕ قَلِیْلًا مَّا تَذَکَّرُوْنَ ﴿۳﴾ وَکَمْ مِّنْ قَرْیَةٍ اَهْلَکْنٰهَا فَجَآءَهَا بَاْسُنَا بَیَاتًا

---

الٓمّٓصٓ * کِتٰبٌ اُنْزِلَ اِلَیْکَ فَلَا یَکُنْ فِیْ صَدْرِکَ حَرَجٌ مِّنْهُ لِتُنْذِرَ بِهٖ وَذِکْرٰی لِلْمُؤْمِنِیْنَ الٓمّٓصٓ ---امکہِ معنیٚ چھہ خدایہِ سی خبر۔ یہِ قرآن مجید چھہٕ کِتاباہ خدایہِ سندِہ طرفہ توہہِ کُن نازل کرنہ آمٕژ۔ یِتھہ تُہہ لُوکھہ نافرمانی ہُند سزا بیان کرنہ سیت کھوژہ ناوِیُوکھہ۔ ہرگاہ کانہہ شخصاہ اَتھہ کتابہ ایمان انہِ نہ، تسلیم گرہِنہ تُہند دلِ مُبارک مہٕ سپدِن تمہِ سیت تنگ۔ کیازِہ کانسہِ ہندِہ نہ ماننہ سیت توہنزِہ بیم کرنچہِ کامہِ اَندر کانہہ نقصان واتہِ نہ۔ قرآن مجید چھُو خصوصیّتہ سان وعظ تہٕ نصیحت بایمانَن ہندہ خیطرہ اِتَّبِعُوْا مَآ اُنْزِلَ اِلَیْکُمْ مِّنْ رَّبِّکُمْ وَلَا تَتَّبِعُوْا مِنْ دُوْنِهٖٓ اَوْلِیَآءَ ای لُوکو تُہہ یلہِ معلوم سپُد کہ یہِ قرآن مجید چھُو خدایہِ سُندی طرفہ نازل کرنہ آمُت۔ تُہہ کٔرِ واتباع تہٕ پیروی تِچ یہِ توہہِ کُن بواسطہ پیغمبرِ برحق نازِل آوٚ کرنہ تُہندس پروردگارہ سندِہ طرفہ۔ اِتباع کرُن گو تصدیق تہٕ کرُن تہٕ عمل تہِ کرُن۔ (خداسٕمِ تُہندِہ وَتھہ ہاونہ خیطرہ یہِ عظیم الشان کِتاب نازل کٔر) تراوِتھہ مہٕ کٔروِین رفیقن تہٕ دُوستن ہنز پیروی۔ یِمِ توہہِ گُمراہ کرہ وِنِ تہٕ سیٚزِہ وَتہِ نِشہِ ڈالہ وِنِ چھہِ انسان شیطانو تہٕ جن شیطانو اَندرہ قَلِیْلًا مَّا تَذَکَّرُوْنَ مگر باوجودِ یمہِ مُشفقانہ فہمائیش کرنچہِ چھہِ توہہِ اَندرہ کمی لُوکھہ نصیحت رٹان۔ تمی چھہِ گمراہ تہٕ گمراہی زیادہ۔ مگر گمراہَن چھُونہ روزُن سُوکھے۔ وَکَمْ مِّنْ قَرْیَةٍ اَهْلَکْنٰهَا فَجَآءَهَا بَاْسُنَا بَیَاتًا اَوْ هُمْ قَآئِلُوْنَ وارِیاہ شہرن تہٕ بستین منز روزہ ون کٔرِ اَسہِ ہلاک تہٕ تباہ کُفر واِنکار تہٕ نافرمانی تہٕ گمراہی

أَوْ هُمْ قَآئِلُوْنَ ﴿٤﴾ فَمَا كَانَ دَعْوٰىهُمْ إِذْ جَآءَهُمْ بَأْسُنَآ إِلَّآ أَنْ
قَالُوْٓا إِنَّا كُنَّا ظٰلِمِيْنَ ﴿٥﴾ فَلَنَسْئَلَنَّ الَّذِيْنَ أُرْسِلَ إِلَيْهِمْ
وَلَنَسْئَلَنَّ الْمُرْسَلِيْنَ ﴿٦﴾ فَلَنَقُصَّنَّ عَلَيْهِمْ بِعِلْمٍ وَّمَا كُنَّا
غَآئِبِيْنَ ﴿٧﴾ وَالْوَزْنُ يَوْمَئِذِ الْحَقُّ فَمَنْ ثَقُلَتْ مَوَازِيْنُهٗ
فَأُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ ﴿٨﴾ وَمَنْ خَفَّتْ مَوَازِيْنُهٗ فَأُولٰٓئِكَ
الَّذِيْنَ خَسِرُوْٓا أَنْفُسَهُمْ بِمَا كَانُوْا بِاٰيٰتِنَا يَظْلِمُوْنَ ﴿٩﴾ وَلَقَدْ

---

مؤکھہ۔ پس وڏت تمن نِشہِ سُون عذاب راتِ منزی۔ یا تمہِ ساتہ یمہِ ساتہ تمِ دپہرس شونگت آسِ قیلولہ کران فَمَا كَانَ دَعْوٰىهُمْ إِذْ جَآءَهُمْ بَأْسُنَآ إِلَّآ أَنْ قَالُوْٓا إِنَّا كُنَّا ظٰلِمِيْنَ پس اُوس نہ تمہِ ساتہ یمہِ ساتہ تمن نِشہِ سُون عذاب ہنگہ تہ منگہ وانتھ پیو کانہہ کتھاہ تھندہِ چانڑہ منزہ نیران۔ مگر یہے کتھ کہِ واقعی چھہِ اَسِ ظُلم و خطا کرہ ونِ۔ یہِ گو دُنیوی عذاب فَلَنَسْئَلَنَّ الَّذِيْنَ أُرْسِلَ إِلَيْهِمْ وَلَنَسْئَلَنَّ الْمُرْسَلِيْنَ امہِ پتہ گو اُخروی عذاب۔ قیامتک دوہ پرژھوٲسِ ضُرور لوکن تمن گُن پیغمبر سوزنہ آی۔ کیاہ توہہِ نِشہِ آئے یہِ پیغمبر۔ توہہِ کیاہ معاملہ کوروہ تمن سیت۔ بیہِ پرژھو ضرور اَسِ پیغمبرن تہ کہِ توہہِ کیاہ جواب ڈن تھنز وامتو فَلَنَقُصَّنَّ عَلَيْهِمْ بِعِلْمٍ وَّمَا كُنَّا غَآئِبِيْنَ پس بیان کرَواس تمن سارنی برونٹھ کنہِ ساری حالات پننہِ علمہ مؤجب کیازِہ اسِ تھندیو کارو کرتو تو نِشہِ بے خبر آسنہِ وَالْوَزْنُ يَوْمَئِذِ الْحَقُّ تمی دوہہ یمِ لوکن ہنزہ عملہ تہ اِعتقادات تولنہ پزِپاٹھہِ فَمَنْ ثَقُلَتْ مَوَازِيْنُهٗ فَأُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ پس یمن ہُند پوٗتر ایمانہ سیت تہ نیکیو سیت گوب لگہِ تمے لوکھ آسن رستگار تہ کامیاب نجات لبہ وَنِ وَمَنْ خَفَّتْ مَوَازِيْنُهٗ بیہِ یمن لوکن ہُند پوٗتر لوت لگہِ ایمان نہ اننہ سیت تہ اعمالِ صالحہ نہ آسنہ مؤکھہ فَأُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ خَسِرُوْٓا أَنْفُسَهُمْ بِمَا كَانُوْا بِاٰيٰتِنَا يَظْلِمُوْنَ پس تمے لوکھ گئے یمو پننہ نین پانن نقصان تہ تاوان واتنوو کیازہ تمِ آسِ سانین آیاتن ہنز حق تلفی کران۔ اِنکار تہ نافرمانی کرنہ سیت وَلَقَدْ مَكَّنّٰكُمْ فِي الْأَرْضِ وَجَعَلْنَا لَكُمْ فِيْهَا مَعَايِشَ قَلِيْلًا مَّا تَشْكُرُوْنَ پزِپاٹھِ اَسہِ دژ

مَكَّنّٰكُمْ فِي الْاَرْضِ وَجَعَلْنَا لَكُمْ فِيْهَا مَعَايِشَ ۭ قَلِيْلًا مَّا تَشْكُرُوْنَ ۝١٠ وَلَقَدْ خَلَقْنٰكُمْ ثُمَّ صَوَّرْنٰكُمْ ثُمَّ قُلْنَا لِلْمَلٰۗىِٕكَةِ اسْجُدُوْا لِاٰدَمَ ڰ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ ۭ لَمْ يَكُنْ مِّنَ السّٰجِدِيْنَ ۝١١ قَالَ مَا مَنَعَكَ اَلَّا تَسْجُدَ اِذْ اَمَرْتُكَ ۭ قَالَ اَنَا خَيْرٌ مِّنْهُ ۚ خَلَقْتَنِيْ مِنْ نَّارٍ وَّخَلَقْتَهٗ مِنْ طِيْنٍ ۝١٢ قَالَ فَاهْبِطْ مِنْهَا فَمَا يَكُوْنُ لَكَ اَنْ تَتَكَبَّرَ فِيْهَا فَاخْرُجْ اِنَّكَ مِنَ الصّٰغِرِيْنَ ۝١٣ قَالَ اَنْظِرْنِيْٓ

تۄہہ بسنہٕ خیٚطرٕ جاے زمیٖنس پیٹھ۔ بییہ کوٗر اَسہِ مُہیا تِہندِ خیٚطرٕ اَتھ زمیٖنس اَندر زِندٕ رُوزنُک سامان مگر شُکر گُذار چھِ تۄہہِ اَندرٕ کٔمی لُوکھ وَلَقَدْ خَلَقْنٰكُمْ ثُمَّ صَوَّرْنٰكُمْ بے شک بیہ کرٕ اَسہِ تِہہ پیدٕ یعنی تِہند جدِّ اعلیٰ حضرتِ آدم علیہِ السّلام۔ تۄ پتہٕ دژٕ اَسہِ تۄہہِ شکل وصُورت یعنی حضرت آدمس علیہِ السلام ثُمَّ قُلْنَا لِلْمَلٰۗىِٕكَةِ اسْجُدُوْا لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ تۄ پتہٕ کوٗر حُکم اَسہِ ملایکن کہ سجدٕ دِیِو تٕن حضرتِ آدمَس کُن۔ پَس دُیت تمَو سجدٕ ابلیس وراے لَمْ يَكُنْ مِّنَ السّٰجِدِيْنَ سُو اُوس نہٕ سجدٕ دِنہٕ والیو اَندرٕ قَالَ مَا مَنَعَكَ اَلَّا تَسْجُدَ اِذْ اَمَرْتُكَ اللہ تعالیٰ اَن پُرژھُس اَی ابلیس ژٕ کَمِ چیٖزن روٗکھ پَتھ سجدٕ دِنہٕ نِشہٕ۔ یلہِ میٚہ پانہٕ ژٕ یہ حُکم کرۄژی سجدٕ کرنُک۔ قَالَ اَنَا خَيْرٌ مِّنْهُ خَلَقْتَنِيْ مِنْ نَّارٍ وَّخَلَقْتَهٗ مِنْ طِيْنٍ دۄپنہٕ لگ بُو چھُس بہتر حضرتِ آدمہٕ سٕندِ خوتہٕ کیازِ بُو کوٗر تھٕ پیدٕ نارس سٕو کوٗر تھٕن پیدٕ میژِ تہٕ آبس یعنی رَبہٕ قَالَ فَاهْبِطْ مِنْهَا فَمَا يَكُوْنُ لَكَ اَنْ تَتَكَبَّرَ فِيْهَا فَاخْرُجْ اِنَّكَ مِنَ الصّٰغِرِيْنَ اللہ تعالیٰ اَن فرموٗس ژٕ یہ اُویہِ پَتھ پان بُوڈ بوزنہٕ تمی کرُتھ میانس حُکمس نافرمانی۔ لہذا اوس بُون آسمانہٕ نِشہٕ۔ ژٕ یہ پزی نہٕ کِبر تہٕ نافرمانی کرنِ اتھ آسمانس منز یُس جاے چھِ فرمانبردارن ہنز لہذا نیر جلد بیشک ژٕ چھُکھ ذلیل وخوار گژھہ ویٖنو اَندرٕ قَالَ اَنْظِرْنِيْٓ اِلٰى يَوْمِ يُبْعَثُوْنَ ابلیس لگ وننہِ پروردِگار اَمیہ دِتہٕ مہلت مرنہٕ نِشہٕ قیامتس تان یمہِ دۄہہ ساری ین قبرو منزٕ نیبر کڈنہٕ۔ قَالَ اِنَّكَ مِنَ الْمُنْظَرِيْنَ اللہ تعالیٰ اَن فرموٗس بیشک چھُکھ ژٕ مرنہٕ نِشہِ مُہلت دِنہٕ آمتیو اَندر وقتِ معلومس

إِلَىٰ يَوْمِ يُبْعَثُونَ ﴿١٤﴾ قَالَ إِنَّكَ مِنَ الْمُنظَرِينَ ﴿١٥﴾ قَالَ فَبِمَا أَغْوَيْتَنِي لَأَقْعُدَنَّ لَهُمْ صِرَاطَكَ الْمُسْتَقِيمَ ﴿١٦﴾ ثُمَّ لَآتِيَنَّهُم مِّن بَيْنِ أَيْدِيهِمْ وَمِنْ خَلْفِهِمْ وَعَنْ أَيْمَانِهِمْ وَعَن شَمَائِلِهِمْ ۖ وَلَا تَجِدُ أَكْثَرَهُمْ شَاكِرِينَ ﴿١٧﴾ قَالَ اخْرُجْ مِنْهَا مَذْءُومًا مَّدْحُورًا ۖ لَّمَن تَبِعَكَ مِنْهُمْ لَأَمْلَأَنَّ جَهَنَّمَ مِنكُمْ أَجْمَعِينَ ﴿١٨﴾ وَيَا آدَمُ اسْكُنْ أَنتَ وَزَوْجُكَ الْجَنَّةَ فَكُلَا مِنْ حَيْثُ شِئْتُمَا وَلَا تَقْرَبَا هَٰذِهِ الشَّجَرَةَ فَتَكُونَا مِنَ الظَّالِمِينَ ﴿١٩﴾ فَوَسْوَسَ لَهُمَا الشَّيْطَانُ لِيُبْدِيَ لَهُمَا مَا وُورِيَ

---

تانِ قَالَ فَبِمَا أَغْوَيْتَنِي لَأَقْعُدَنَّ لَهُمْ صِرَاطَكَ الْمُسْتَقِيمَ اِبلیس لوگ وَننہِ ژٕیہِ کٔور تھٕس بٔو گمراہ۔ اَتھ بَدَل کرکھ بٔوتہٕ بنی آدم گُمراہ۔ قسم ہیتھ چھُس بٔو ونان کہ ضرور رٕبہٕ بٔو تِم گمراہ کرنہ خیطرٕ چانہِ سیزٕ وتہٕ پیٹھ برونٹھ دِمکھ نہ پکنہ ثُمَّ لَآتِيَنَّهُم مِّن بَيْنِ أَيْدِيهِمْ وَمِنْ خَلْفِهِمْ وَعَنْ أَيْمَانِهِمْ وَعَن شَمَائِلِهِمْ وَلَا تَجِدُ أَكْثَرَهُمْ شَاكِرِينَ تو پتہٕ یِمکھ بٔو حملہ کرنہ خیطرٕ پریتھ طرفہٕ تِمن برونٹھ کنہِ، تھزِ تھر کنہِ تِمن دچھنہِ، تِمن کھوفرتہٕ۔ اَتھ پاٹھِ مُمکِن سپد تِم تہٕ تتھ پاٹھِ ڈالکھ بٔو تِم سیزِ وتہِ نشہِ۔ چنانچہ ژٕ لبہ ہَکھ نہ تِموَ اندرٕ زیادہ شُکرگُذار چانین نعمژن پیٹھ قَالَ اخْرُجْ مِنْهَا مَذْءُومًا مَّدْحُورًا اللہ تعالیٰ ان فرموٗس خوار و ذلیلِ سَپدِ تھِ نیر جلد نیبر آسمانو اَندرٕ۔ ژٕ یِہ وَنان چھُکھ کہِ بٔو ڈالکھ تِم، گژھ ڈالکھ۔ بٔو چھُس نہ پرواہ ابران کانسہِ ہندِ عبادت کرٕ نُک لَّمَن تَبِعَكَ مِنْهُمْ لَأَمْلَأَنَّ جَهَنَّمَ مِنكُمْ أَجْمَعِينَ البتہ یُس چانِ پیروی کرِ تِموَ اَندرٕ توہہ اِکہ وٹہ بَرن بونارِ جہنم وَيَا آدَمُ اسْكُنْ أَنتَ وَزَوْجُكَ الْجَنَّةَ فَكُلَا مِنْ حَيْثُ شِئْتُمَا اَسہِ فرموٗ حضرتِ آدمَس، اَی آدم، بسِو تُہہ پننِ باژ ہیتھ جنتَس منز۔ پَس کھیوِ جنتچو نعمتو اَندرٕ یِمہِ نعمژ خوش کرنوٕ، یتھ جایہِ خوش کرنوٕ وَلَا تَقْرَبَا هَٰذِهِ الشَّجَرَةَ مگر نزدیک سَپدِ زِنہ تُہہ دوشوے یتھ کُلسِ یعنی امہِ کُلیُک میوہ تہٕ پھَل کھیزِ نہ ہرگز فَتَكُونَا مِنَ الظَّالِمِينَ پَس سپدِوٕ توہہ

عَنْهُمَا مِنْ سَوْاٰتِهِمَا وَقَالَ مَا نَهٰىكُمَا رَبُّكُمَا عَنْ هٰذِهِ الشَّجَرَةِ

اِلَّآ اَنْ تَكُوْنَا مَلَكَيْنِ اَوْ تَكُوْنَا مِنَ الْخٰلِدِيْنَ ﴿٢٠﴾ وَقَاسَمَهُمَآ اِنِّيْ

لَكُمَا لَمِنَ النّٰصِحِيْنَ ﴿٢١﴾ فَدَلّٰىهُمَا بِغُرُوْرٍ ۚ فَلَمَّا ذَاقَا الشَّجَرَةَ بَدَتْ لَهُمَا

سَوْاٰتُهُمَا وَطَفِقَا يَخْصِفٰنِ عَلَيْهِمَا مِنْ وَّرَقِ الْجَنَّةِ ؕ وَنَادٰىهُمَا رَبُّهُمَآ اَلَمْ

اَنْهَكُمَا عَنْ تِلْكُمَا الشَّجَرَةِ وَاَقُلْ لَّكُمَآ اِنَّ الشَّيْطٰنَ لَكُمَا عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ ﴿٢٢﴾

قَالَا رَبَّنَا ظَلَمْنَآ اَنْفُسَنَا ۫ وَاِنْ لَّمْ تَغْفِرْ لَنَا وَتَرْحَمْنَا لَنَكُوْنَنَّ مِنَ

---

نُقصان تُلہ وِنیو اَندرہ فَوَسْوَسَ لَهُمَا الشَّيْطٰنُ لِيُبْدِيَ لَهُمَا مَاوٗرِيَ عَنْهُمَا مِنْ سَوْاٰتِهِمَا پَس ترٛوو شیطانَن تِہندین دِلَن اَندر وسوسہ یُتھ نَنٕر اوہِ سُو تِمَن بد نُک سُو حِصہٕ یُس تِمَن اَکھہِ اَکِس نِشہِ پوٗشیدہ اوٗس۔ یِہ آسہا تِمہِ کُلیکٕ خاصیت، یا حُکم عدولی کرنہٕ مؤکھہ وَقَالَ مَا نَهٰىكُمَا رَبُّكُمَا عَنْ هٰذِهِ الشَّجَرَةِ اِلَّآ اَنْ تَكُوْنَا مَلَكَيْنِ اَوْ تَكُوْنَا مِنَ الْخٰلِدِيْنَ دِپنہٕ لوٗگُکھ پروردگارَن تِہندِ کٔرنہٕ توٚہہِ مُمانعت اَمہِ کُلہ نِشہِ مگر یِمہِ موٗکھہ کہِ تُہہ گژھو نہٕ بنِ مَلک زہ یا گژھہِ نہٕ تُہہ بنِ ہمیشہ زِندہ روزہ وِنیو اَندرہ وَقَاسَمَهُمَآ قسم ہاوٕ ہاوٕ لگِ وَننہِ تِمَن اِنِّيْ لَكُمَا لَمِنَ النّٰصِحِيْنَ بیشک بُہ چھُس وہ تِہند بوڈ خیر خواہ فَدَلّٰىهُمَا بِغُرُوْرٍ پَس تِھدہ مرتبہ نِشہِ یا تھزِہ رایہِ نِشہِ پَست رایہِ کُن والِن بوٗن۔ مایِل کٔرِن دُھوکہ سیت اَمہِ کُلیک پھل کھینس پیٹھہ فَلَمَّا ذَاقَا الشَّجَرَةَ پَس یانتہ مزہ ژُھہ تِموٚ اَمہِ کُلہ کہِ پھلُک بَدَتْ لَهُمَا سَوْاٰتُهُمَا تانِ گیٚے تِم ننگہ۔ تِہندِہ بدنہ پیٹھہ وُوٚتھہ لِباس تِہند خود بخود ظاہِر سپُد تِہند سورُوی بدن وَطَفِقَا يَخْصِفٰنِ عَلَيْهِمَا مِنْ وَّرَقِ الْجَنَّةِ اَتی لگِ دوٚشوٚے جنتکِ پنہ وتھر اکھہ اکِس سیت ملہِ وِتھہ پانَس پیٹھہ تھاوِنہ بدنَس سَتر کرنہٕ خیٚطرہ وَنَادٰىهُمَا رَبُّهُمَآ اَلَمْ اَنْهَكُمَا عَنْ تِلْكُمَا الشَّجَرَةِ وَاَقُلْ لَّكُمَآ اِنَّ الشَّيْطٰنَ لَكُمَا عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ تِمہِ وقتہ کور آلو تِمَن دوٚشوٚنِ پننِ پروردگارَن۔ ای آدم حوا، مہ کٔرِ وناتُہہ منع اَمہِ کُلہ نِشہِ۔ بیہ وَنوناہِ تُہہ پزِ پاٹھِ شیطان چھُو تِہند نُون دُشمن۔ یُتھنہ امسزِن کَتھَن کُن تھاوِو قَالَا رَبَّنَا ظَلَمْنَآ اَنْفُسَنَا وَاِنْ لَّمْ تَغْفِرْ لَنَا وَتَرْحَمْنَا لَنَكُوْنَنَّ مِنَ الْخٰسِرِيْنَ دوٚشوٚے لَگ وَننہِ ای سانہِ پروردگارہ اَسہِ کور ظُلم پانہِ پانَس۔ ووٚن نے ژہ اَسہِ مغفرت کرکھ بیہ رحم

الْخٰسِرِيْنَ ﴿۲۳﴾ قَالَ اهْبِطُوْا بَعْضُكُمْ لِبَعْضٍ عَدُوٌّ ۚ وَلَكُمْ فِي الْاَرْضِ مُسْتَقَرٌّ وَّمَتَاعٌ اِلٰى حِيْنٍ ﴿۲۴﴾ قَالَ فِيْهَا تَحْيَوْنَ وَفِيْهَا تَمُوْتُوْنَ وَمِنْهَا تُخْرَجُوْنَ ﴿۲۵﴾ يٰبَنِيْٓ اٰدَمَ قَدْ اَنْزَلْنَا عَلَيْكُمْ لِبَاسًا يُّوَارِيْ سَوْاٰتِكُمْ وَرِيْشًا ۭ وَلِبَاسُ التَّقْوٰى ۙ ذٰلِكَ خَيْرٌ ۭ ذٰلِكَ مِنْ اٰيٰتِ اللّٰهِ لَعَلَّهُمْ يَذَّكَّرُوْنَ ﴿۲۶﴾ يٰبَنِيْٓ اٰدَمَ لَا يَفْتِنَنَّكُمُ الشَّيْطٰنُ

---

کرکھ اَسِ سپدَو ضرور نقصان تُلہ ونیوآندرہ قَالَ اهْبِطُوْا بَعْضُكُمْ لِبَعْضٍ عَدُوٌّ وَلَكُمْ فِي الْاَرْضِ مُسْتَقَرٌّ وَّمَتَاعٌ اِلٰى حِيْنٍ اللہ تعالیٰ اَن فرموٗکھ جنتہ منزہ وٚسوِیُون زمینس پیٹھ یتھ حالس منزکہِ توہِ یعنی تُہند اولاد آسَن پانہ وانِ اڈاڈیَن ہندِ دُشمن۔ بیہ آو تُہندِ ہ خیطرہ تجویز کرنہ زمینس پیٹھ قرار کرُن۔ بیہ تمتع تُلن معیشتہ کیو اسبابَو سیت۔ اَکس خاص وقتس تانِ۔ یعنی مرنکس وقتس تام قَالَ فِيْهَا تَحْيَوْنَ وَفِيْهَا تَمُوْتُوْنَ وَمِنْهَا تُخْرَجُوْنَ اللہ تعالیٰ اَن فرموٗکھ اَتھ زمینس منز چھہ توہہِ زندگی گزارِن۔ اَتھ زمینس منز چھُوہ توہہِ مرُت روزُن۔ اَمیِ زمینہ منزہ۔ اِوکڈنہ قیامتکُ دوہ۔ تمہِ پتہ یَس یرِٹھہ عمل آسہِ ترٛٹھی بیہ تَس جای دِنہ۔ رٛژہ عملہِ والس رٛژ جای تیٚھ عملہِ والس تیٚھ جای يٰبَنِيْٓ اٰدَمَ قَدْ اَنْزَلْنَا عَلَيْكُمْ لِبَاسًا يُّوَارِيْ سَوْاٰتِكُمْ وَرِيْشًا اَی حضرتِ آدمہ سُند یوٚنچویو، بتحقیق پیدہ کوراَسہِ تُہندِ ہ خیطرہ پُوشاک، یُس تُہندِس عیب ناک بدنس وٚلہِ تہ ستر کرہِ۔ بیہ یُس تُہندِ ہ بدنُک زینت چھُو وَلِبَاسُ التَّقْوٰى ذٰلِكَ خَيْرٌ بیہِ چھُو اَمہِ ظاہری لِباسہ علاوہ باطنی لباساہ تہِ اَسہِ تُہندِ ہ خیطرہ تجویز کورمُت۔ سُو گو پرہیز گاری تہ دِینداری ہُند لِباس۔ سُو چھُو اَمہِ ظاہری لباسہ خُوتہ سیٹھاہ ضُروری تہ بہتر۔ ذٰلِكَ مِنْ اٰيٰتِ اللّٰهِ یہِ لباسِ ظاہری چھُو خدایہ سندِہ فضل وکرمہ کیو نشانَو تہ دلیلَو اَندرہ لَعَلَّهُمْ يَذَّكَّرُوْنَ یُتھ لُوکھ یہ نعمِت وارہ یاد تھاوِتھ مُنعِم حقیقی سُند حق ادا کرن۔ اِسلامن چھُو کورمُت مردَن ہُند لباس الگ زنانن ہُند لباس الگ۔ پَس پزِہ نہ مردَن زنانہ لِباس لاگُن۔ زنانن پزِہ نہ مردہ لِباس لاگُن۔ مردَن پیٹھ آور یشمی لباس حرام کرنہ۔ یِمہِ مرد دُنیاہس اَندر ریشمی لِباس اَستعمال کرَن تمِ آسَن جنتہ ریشمی لباسہ

كَمَآ اَخْرَجَ اَبَوَيْكُمْ مِّنَ الْجَنَّةِ يَنْزِعُ عَنْهُمَا لِبَاسَهُمَا لِيُرِيَهُمَا سَوْاٰتِهِمَا ؕ اِنَّهٗ يَرٰىكُمْ هُوَ وَقَبِيْلُهٗ مِنْ حَيْثُ لَا تَرَوْنَهُمْ ؕ اِنَّا جَعَلْنَا الشَّيٰطِيْنَ اَوْلِيَآءَ لِلَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿٢٧﴾ وَاِذَا فَعَلُوْا فَاحِشَةً قَالُوْا وَجَدْنَا عَلَيْهَآ اٰبَآءَنَا وَاللّٰهُ اَمَرَنَا بِهَا ؕ قُلْ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَاْمُرُ بِالْفَحْشَآءِ ؕ

---

نِشہِ محرُوم۔ زنانن پیٹھہ آوٗتُون تہٕ باریک لباس حرام کرنہٕ یمہٕ منز بدن یامَس، کُلک موٗی بوزنہٕ ایہِ۔ لِجی پابندی کرن۔ یہِ گو لباس تقویٰ يٰبَنِيْٓ اٰدَمَ لَا يَفْتِنَنَّكُمُ الشَّيْطٰنُ كَمَآ اَخْرَجَ اَبَوَيْكُمْ مِّنَ الْجَنَّةِ اَی حضرتِ آدمہٕ سِند یوٚپنچو یُلہٕ تہٕ تقوٰی تہٕ پرہیزگاری ہُند واجب آسُن معلُوم سپُد، بیہ سپُد توہہِ معلوٗم کہ شیطان کو تاہ دُشمن چھُو تُہند وونِ یُتھنا توہہِ تہِ شیطان ڈالتھ تقوٰی پرہیزگاری تہٕ دِینس خِلاف کُنہ گنہس مُبتلا کٔرِ تھ خرابی اندر تراوہ۔ یتھہ موٗل موٗج تُہند حضرت آدم تہٕ حضرتِ حواجنتہٕ منزہ ڈالتھ کڈِن۔ يَنْزِعُ عَنْهُمَا لِبَاسَهُمَا لِيُرِيَهُمَا سَوْاٰتِهِمَا تو پتہٕ کڈِن تمِ یتھہ حالس منزکہِ کڈان اُوس لِباس تُہند تہندِہ بدنہٕ پیٹھہ۔ یُتھہ پاٹھٕ ننراوہِ تہٕ ننگہ کرہِ تُھوند مستُور تہٕ پُوشیدہ بدن۔ یتھہ پاٹھِ اَسہِ بیان کورکہِ سوٗ چھُو تہند سخت دُشمن تمِس نِشہِ کٔرِو پُور احتیاط۔ زیادہ تاکید چھوہ اَسِ توہہِ یمہِ موٗکھہ کران اِنَّهٗ يَرٰىكُمْ هُوَ وَقَبِيْلُهٗ مِنْ حَيْثُ لَا تَرَوْنَهُمْ بیشک اَکھہ سُو تہٕ بیہ تہنز لشکر چھہ توہہِ وچھان تتھہ پاٹھہِ یتھہ پاٹھہٕ نہٕ تُہہ چھوٗن سُو وچھتھہ ہیکان۔ تِتھس دُشمنس نِشہِ پزہِ سخت بچاوچ صُورت اختیار کرنِ۔ سُو بچاوچ صُورت تھ چھُنہٕ کُنہی ایمانہٕ تہٕ تقوٰی ورای اِنَّا جَعَلْنَا الشَّيٰطِيْنَ اَوْلِيَآءَ لِلَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بیشک اَسہِ کٔرِ شیطان دُوست تہٕ رفیق تِمن لُوکن ہندِ تِم نہٕ ایمان اَنان تہٕ پزھہ کران چھہِ کُنس خدایس وَاِذَا فَعَلُوْا فَاحِشَةً قَالُوْا وَجَدْنَا عَلَيْهَآ اٰبَآءَنَا وَاللّٰهُ اَمَرَنَا بِهَا یمو لُوکو نہٕ ایمان اُون تِمن پیٹھہ چھُو شیطانہٕ سُند تسلط تِمہٕ قسمہٕ کِہ یلہِ تِم لُوکھ کانہہ تِچھہ کاماہ کران چھہِ۔ وَنان، چھہِ اَسہِ ڈِچھہ مالِ بُڈ بب پنٕن اِی کران۔ بیہ چھُو نعوذ باللّٰہ خدا ینی اَسہِ یہِ کرنگ حُکم کورمُت۔ چنانچہ تِم آسِ ننگے خانہ کعبس طواف کران کانہہ منع اوسکھہ کران جواب آسِ دِپان اَسہِ چھُو خدا یہِ نی امیگ حُکم کورمُت قُلْ فرماویوکھہ تُہہ یا رسُول اللّٰہ (صلی اللّٰہ علیہ

أَتَقُولُونَ عَلَى اللَّهِ مَا لَا تَعْلَمُونَ ﴿٢٨﴾ قُلْ أَمَرَ رَبِّي بِالْقِسْطِ ۖ وَأَقِيمُوا وُجُوهَكُمْ عِندَ كُلِّ مَسْجِدٍ وَادْعُوهُ مُخْلِصِينَ لَهُ الدِّينَ ۚ كَمَا بَدَأَكُمْ تَعُودُونَ ﴿٢٩﴾ فَرِيقًا هَدَىٰ وَفَرِيقًا حَقَّ عَلَيْهِمُ الضَّلَالَةُ ۗ إِنَّهُمُ اتَّخَذُوا الشَّيَاطِينَ أَوْلِيَاءَ مِن دُونِ اللَّهِ وَيَحْسَبُونَ أَنَّهُم مُّهْتَدُونَ ﴿٣٠﴾

---

وسلم) إِنَّ اللَّهَ لَا يَأْمُرُ بِالْفَحْشَاءِ بیشک اللہ تعالیٰ چھُونہ ہرگز بچھ کامین ہُند حُکم کران۔ یہ کیاہ چھوِ تہٕ بکواس کران أَتَقُولُونَ عَلَى اللَّهِ مَا لَا تَعْلَمُونَ کیاہ تُہہ چھوِہ خدایس کُن تِی لاگان یِیُچ نہ توہہِ نِشہِ کانہہ خبراہ چھہ۔ کانہہ دلیلاہ چھہ۔ قُلْ أَمَرَ رَبِّي بِالْقِسْطِ فرمایُو کھ میان خداین چھُوہ حُکم کورمُت عدل و اِنصافُک۔ پریتھ کامہِ منزاِفراط و تفریطہ نِشہِ بچہِ نُک وَأَقِيمُوا وُجُوهَكُمْ عِندَ كُلِّ مَسْجِدٍ بیہِ چھُون حُکم کورمُت بُتھہ تھاوِوسیوُدُ پریتھہ عباد تس اَندر۔ متوجہ رُوزودِلہ سیت خدایس کُن یعنی پُوتلِ یا بیہِ کانہہ چیز مَہ آسیون برونٹھ کَنہِ رَٹان وَادْعُوهُ مُخْلِصِينَ لَهُ الدِّينَ بیہِ آسوِ تہنزی یاڑ عبادت کران۔ تِس یوُت پٔنن حاجت منگان۔ باخلاص آسوِ تہنزی فرمانبرداری کران۔ تِم چھہِ پروردِگارہ سندِ حُکم تِم مانوِ کیازِہ تِم فرماوِنہ توہہِ تِم حُکمی یاتِ تہ بَس۔ بلکہ ہیہِ سُو توہہِ اکہ دوہہ تِمن گھِن پیٹھہ حساب تہِ كَمَا بَدَأَكُمْ تَعُودُونَ چنانچہِ یِتھہ پاٹھہِ گوڈہ پننہِ قدرتہ سیت تِم تُہہ پیدہ کٔرِ نوہ تِتھے پاٹھہِ سپدِیوہ تُہہ دوبارہ پیدہ کرنہ اِیو۔ تمی وقتہ یِیہِ توہہِ حساب ہینہ فَرِيقًا هَدَىٰ وَفَرِيقًا حَقَّ عَلَيْهِمُ الضَّلَالَةُ دنیاءس اندر رہاواکس جماعتس اللہ تعالیٰ اَن وَتھ ۔ تِمن دِیہ رٔژمزور۔ بیس جماعتس پیٹھ کرن مُقرر گمراہی۔ تِمن اِیہ سزادِنہ کیازِہ إِنَّهُمُ اتَّخَذُوا الشَّيَاطِينَ أَوْلِيَاءَ مِن دُونِ اللَّهِ تِموٗ کیارٹ شیطان پٔنن دُوست تہ رفیق خدایس تراوِتھہ۔ یعنی خدایہِ سنز اطاعت تہ فرمانبرداری تراوِتھ کرِکھہ شیطانَن ہنز فرمانبرداری وَيَحْسَبُونَ أَنَّهُم مُّهْتَدُونَ بیہِ آسِ تِم خیال تھاوان کہِ اس چھہِ ہدایتس تہ راہِ راستس پیٹھہ یُس خیال محض باطِل تہ غلط اُوس يَا بَنِي آدَمَ خُذُوا زِينَتَكُمْ عِندَ كُلِّ مَسْجِدٍ ای بنیِ آدمو

يٰبَنِيْٓ اٰدَمَ خُذُوْا زِيْنَتَكُمْ عِنْدَ كُلِّ مَسْجِدٍ وَّكُلُوْا وَاشْرَبُوْا وَلَا تُسْرِفُوْا ۚ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْمُسْرِفِيْنَ ﴿۳۱﴾ قُلْ مَنْ حَرَّمَ زِيْنَةَ اللّٰهِ الَّتِيْٓ اَخْرَجَ لِعِبَادِهٖ وَالطَّيِّبٰتِ مِنَ الرِّزْقِ ۭ قُلْ هِيَ لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا فِي

---

یلہِ توہہِ معلوم سپُد کہِ ننگے طواف کرنس چھُو خدا بیزار لہذا آسوِ تُہہ پُوشاک لاگان پریتھہ وقتہ۔ یلہِ یلہِ کانہہ عبادت کرنہ خیطرہ مسجدِہ منز حاضرِ سپدان آسوِ نماز پرنہ خیطرہ یا طواف کرنہ خیطرہ طواف تہ نماز مہ آسوِ پران ننگے۔ یتھہ پاٹھہِ ننگے روزِن چھُو شیطانہ سنز گمراہی۔ یَتھے پاٹھہِ چھُو حلال چیز حرام کرُن تہِ شیطانہ سنز گُمراہی وَّكُلُوْا وَاشْرَبُوْا وَلَا تُسْرِفُوْا اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْمُسْرِفِيْنَ لہذا آسوِ تُہہ حلال چیز کھیوان تہ چوان مگر مہ آسوِ اسراف تہ فضول خرچی کران۔ پزپاٹھہِ اللہ تعالیٰ چھُونہ راضی اِسراف تہ فضول خرچی کرہ وِنین تِمَن آیاتِ کریمن منز چھُو اللہ تعالیٰ ردّ کران تِمن لُوکن یِم خانہ کعبَس ننگے طواف آسِ کران۔ تتھ آسِ زانان بڈ عبادت بعض لُوکھ آس جُمعہ کین دوہَن کھیون چون تراوان۔ کم کنیژ ھاہ آس کھیوان۔ یمہِ سیت شہ کھسُن وسُن باقی روزِہ ہا۔ مازیا گیُو کھیون آسِ کُلیتاً تراوان۔ یِمَن سارنی چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان کہِ یہِ کرُن کانہہ رژ کاماہ چھنہ تقویٰ و پرہیز گاری ہنز کوماہ چھنہ۔ یہِ چھُو محض شیطانی وسوسہ۔ خدایہِ سُند عطا کورمُت لباس تہ پُوشاک یمہِ سیتِ تُہندِ بدن وَلتھہِ رُوزَن یُس تُہندِہ بدنچِ شُوب چھہ یہِ آسوِ پریتھہ وقتہ لاگان عبادت کرنہِ وقتہ چھُو زیادَے مُناسبِ رُت پُوشاک لاگُن۔ خداین یہِ توہہِ لاگنہ خیطرہ یا کھینہِ چینہ خیطرہ عطا کورمُت چھُو تمیُک آسوِ تمتع تہ فائدہ تُلان۔ مگر شرط چھُو یتُوی کہِ اِسرافہ نِشہِ آسوِ پتھہ روزان۔ اِسراف گوحدہِ نِشہِ ڈلن تہِ مہ آسوِ کران۔ تتھ اِسرافس چھہِ وارِیاہ صورژ۔ حلال چیز مہ آسوِ حرام کران۔ اِتہِ گو اِسرافے یا پُرخوری تہ پےخوری کرنِ تہِ گو اسرافے۔ یا میل، خواہش آسنہ درای کھیون تہِ گو اسرافے۔ یا تیُوت، کم کھیون یمہ سیت بدنس قوتھی حاصِل سپدِہ نہ، یا تمِ چیز کھین، چین تہ استعمال کرنِ یم مضرِ صحت آسَن شراب ہیُو، آفین ہش، تُموکھ ہیُو یتہِ گو اسرافے۔ بعضی سلفِ صالحینو فرموُ کہ اللہ تعالیٰ اَن چھہ جمع کرمژ ساری طِب اڑُسی آیہ کرتمِس اَندر۔ سُو گو "وَّكُلُوْا وَاشْرَبُوْا وَلَا تُسْرِفُوْا" پریتھہ قِسمہ کین اِسراف کرہ وِنین چھُو اللہ تعالیٰ بیزار۔ اَمہِ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان یم لوکھ لباس ولن، طُعام کھیون تہ چون حرام چھہِ زانان تِمن پرِ ژھوہَر تُہہ۔ قُلْ مَنْ حَرَّمَ

الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا خَالِصَةً يَّوْمَ الْقِيٰمَةِ ؕ كَذٰلِكَ نُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ ﴿۳۲﴾ قُلْ اِنَّمَا حَرَّمَ رَبِّيَ الْفَوَاحِشَ مَا ظَهَرَ مِنْهَا وَمَا بَطَنَ وَ الْاِثْمَ وَالْبَغْيَ بِغَيْرِ الْحَقِّ وَاَنْ تُشْرِكُوْا بِاللّٰهِ مَا لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ سُلْطٰنًا وَّاَنْ تَقُوْلُوْا عَلَى اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿۳۳﴾ وَلِكُلِّ اُمَّةٍ اَجَلٌ ۚ فَاِذَا جَآءَ

---

زِيْنَةَ اللّٰهِ الَّتِيْٓ اَخْرَجَ لِعِبَادِهٖ وَالطَّيِّبٰتِ مِنَ الرِّزْقِ کہِ ای لُوکو مہٕ ونتو کہ کم شخصن کرٕ سُوٗ زینت تہٕ شُوب حرام۔ یُس اللہ تعالیٰ اَن پیدہ کور پنہٕ نین بندن ہندِ خیطرٕ ہ۔ بیہِ کَم شخصن کرٕ رتِ رت میٹھ میٹھ تہٕ پاکیزہ کھینک چیز حرام۔ حرام کرنک اختیار چھُو نہ خدایس ورای کانسہِ تہٕ۔ تمِ یلہِ حلال کروٗنِ تُہہ کرزین سُوٗ یُس تمن چیزن حرام ہیکہِ کرِتھ قُلْ هِيَ لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا تُہہ فُرماویوکھ یہ زینت، لباس تہٕ قُدرت کھینکِ تہٕ چینک چیز چھِ فی الحقیقت با ایمانَن ہندِ خیطرٕ ہ دُنیاءس اَندر خَالِصَةً يَّوْمَ الْقِيٰمَةِ بیہِ آسَن یمہِ نعمژ قیامتک دُوہ تہٕ خالص با ایمانن ہندِ خیطرٕ ہ۔ اگرچہِ کافر تہٕ چھِ یمو نعمتو سیت فائیدہ تُلان مگر یہِ گو دُنیاسی اَندر۔ آخرِ تَس اندر نیرِ تمن سورُوی کھیومُت چیومُت نستہٕ کِن كَذٰلِكَ نُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ یتھے پاٹھِ اَسِ ویژھہ ناوِتھ بیان کران ساری آیات زانَن والین تہٕ سمجھدار لوکَن ہندِ خیطرٕ ہ قُلْ اِنَّمَا حَرَّمَ رَبِّيَ الْفَوَاحِشَ مَا ظَهَرَ مِنْهَا وَمَا بَطَنَ وَ الْاِثْمَ وَالْبَغْيَ بِغَيْرِ الْحَقِّ تُہہ فرماوُکھ یارسُول اللہ ای لُوکو تُہہ یمِ چیز یانے بلا دلیل حرام زانتھ تراوان چھِوکھ۔ بَعضی وَقتہٕ چھِوہ ونان یم چیز حرام آسنِ چھُو خدایِنی فرمووُمت یہِ سورُوی چھُو اُپز تہٕ بہتان۔ تُہہ فرماویوکھ میانِ پروردِگارن کورُنہ حرام کانہہ چیز مگر سارے تیچھہ کامہِ یُن پاٹھ تہٕ۔ مثلاً ننگے طواف کرُن پوشیدہ پاٹھ تہٕ مثلاً بدکاری کرنِ بیہِ پریتھ گُنہاہ بیہِ کانسہِ پیٹھ ناحق ظُلم کرُن زیادتی کرن وَاَنْ تُشْرِكُوْا بِاللّٰهِ مَا لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ سُلْطٰنًا وَّاَنْ تَقُوْلُوْا عَلَى اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ بیہِ کور اللہ تعالیٰ اَن حرام کانہہ چیز اہ تہندِس عبادتس اَندر شریک تھاوُن۔ یمسندِس شریک آسنس پیٹھ تمِ کانہہ دلیلاہ نازِل کرمژ چھنہٕ۔ بیہِ کرِ تمِ حرام تُہہ کیاہ ٹھہراوو تِس پیٹھ تِے کتھہ یمن ہنز نہ کانہہ خبراہ چھہٕ۔ کانہہ علماہ چھُو۔ ہرگاہ کانسہِ یہِ شُبہِ گژھہِ کہِ ہرگہے یمِ چیز ممنوع تہٕ ناجائیز چھِ تِلہ کونہ چھُو اللہ تعالیٰ یمن مجرمن سزا دِوان۔ تمُیک جواب چھُوکہِ

أَجَلُهُمْ لَا يَسْتَاْخِرُوْنَ سَاعَةً وَّلَا يَسْتَقْدِمُوْنَ ﴿٣٤﴾ يٰبَنِيْٓ اٰدَمَ اِمَّا
يَاْتِيَنَّكُمْ رُسُلٌ مِّنْكُمْ يَقُصُّوْنَ عَلَيْكُمْ اٰيٰتِيْ ۙ فَمَنِ اتَّقٰى وَاَصْلَحَ
فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ ﴿٣٥﴾ وَالَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا
وَاسْتَكْبَرُوْا عَنْهَآ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ۚ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٣٦﴾ فَمَنْ
اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا اَوْ كَذَّبَ بِاٰيٰتِهٖ ۭ اُولٰٓئِكَ

---

وَلِكُلِّ اُمَّةٍ اَجَلٌ فَاِذَا جَآءَ اَجَلُهُمْ لَا يَسْتَاْخِرُوْنَ سَاعَةً وَّلَا يَسْتَقْدِمُوْنَ بیہِ چھُو پریتھ اُمتہِ پریتھ فردہ
سندِہ نیرنہ خیطرہ اکھ وقتاہ مُعیّن کرنہ آمُت۔ پَس یلہِ سُو مُعیّن وقت واتہ۔ تمہِ ساتہ نہ ہیکِن تِم پتھ نیرِتھ
نہ ہیکِن تِم برونٹھ گژھتھ تمہِ مُعیّن وقتہ نشہِ۔ يٰبَنِيْٓ اٰدَمَ اِمَّا يَاْتِيَنَّكُمْ رُسُلٌ مِّنْكُمْ يَقُصُّوْنَ عَلَيْكُمْ اٰيٰتِيْ اى
بَنی آدمو اَسہِ اُوس عالمِ اَرواحہ سی اَندر توہہِ وونمت کہِ یلہِ توہہِ نشہِ واتَن پیغمبر تِم توہی منزہ آسَن تِمے
پرَن تہ بوزناوَن توہہِ میانِ آیات فَمَنِ اتَّقٰى وَاَصْلَحَ فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ پَس یُس
اکھاہ توہہِ اَندرہ تِمن آیاتَن اِنکار کرنہ نشہِ پتھ روزِہ بیہ سنبھالہِ پنُن پان رٔژو عملو سیت یعنی پُورہ اِتباع تہ
پیروی کرِہ پَس چھُو نہ آخرَس منز تِمَن لُوکن کانہہ خوفاہ نہ سپدَن تِم غمگین وَالَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا
وَاسْتَكْبَرُوْا عَنْهَآ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ النَّارِ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ تِم لُوکھ تِہ اَندرہ اپزِ زانَن تِمِ آیات تہِ احکام
سانِ۔ بیہ کرَن تکبُّر تِم آیات قُبول تہ تسلیم کرنہ نشہِ تِمے لُوکھ آسَن نارَس اَندر واتن والِ۔ تتھ
نارَس منز روزَن ہمیشہ فَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا اَوْ كَذَّبَ بِاٰيٰتِهٖ اُولٰٓئِكَ يَنَالُهُمْ
نَصِيْبُهُمْ مِّنَ الْكِتٰبِ یلہِ توہہِ مجمُل پاٹھِ معلُوم سپُد کہ مُنکرن چھُو عذابَس گرفتار سپدُن پَس یُو زِو بتفصیل
کہ تِہُندہ اکھاہ چھُو یَژ ظالِم تِمَن لوکن ہندِہ خوتہ یِمَو نوو رُود معبودِ برحقّس پیٹھ اُپزِ یا ذِ اکھہ اپزِ تِہند آیات، یِہ
نہ تِمِ فرموُدمُت چھُو تہ تَس گُن۔ یِہ تِم واقعی طور فرموومُت چھُو تتھ کو رُکھ اِنکار۔ تِمن گُن واتہِ دنیاءَس
اَندر پنُن حصّہ یُس تِمن ہندِہ خیطرہ لیکھنہ آمُت چھُو لوحِ محفوظَس اَندر رِزقہ منزہ یا عُمرِہ منزہ دنیاءَس
اَندر۔ مگر آخرِ تَس اَندر چھُو تِہندِہ خیطرہ مُصیبتھی مُصیبت۔ حَتّٰٓى اِذَا جَآءَتْهُمْ رُسُلُنَا يَتَوَفَّوْنَهُمْ

يَنَالُهُمْ نَصِيبُهُم مِّنَ الْكِتَابِ ۖ حَتَّىٰ إِذَا جَاءَتْهُمْ رُسُلُنَا
يَتَوَفَّوْنَهُمْ ۙ قَالُوا أَيْنَ مَا كُنتُمْ تَدْعُونَ مِن دُونِ اللَّهِ ۖ
قَالُوا ضَلُّوا عَنَّا وَشَهِدُوا عَلَىٰ أَنفُسِهِمْ أَنَّهُمْ كَانُوا كَافِرِينَ ﴿٣٧﴾
قَالَ ادْخُلُوا فِي أُمَمٍ قَدْ خَلَتْ مِن قَبْلِكُم مِّنَ الْجِنِّ وَالْإِنسِ
فِي النَّارِ ۖ كُلَّمَا دَخَلَتْ أُمَّةٌ لَّعَنَتْ أُخْتَهَا ۖ حَتَّىٰ إِذَا ادَّارَكُوا فِيهَا
جَمِيعًا قَالَتْ أُخْرَاهُمْ لِأُولَاهُمْ رَبَّنَا هَٰؤُلَاءِ أَضَلُّونَا فَآتِهِمْ

---

تااینکہ یلہِ واتن تِمن نشہِ ملک سانِ بسختی قبض رُوح کرنہ خیطرٕ قَالُوا أَيْنَ مَا كُنتُمْ تَدْعُونَ مِن دُونِ اللَّهِ تِم ملائیک دِپنکھ وُنکینس کُوت گےٚ تِم یِمن تُہہ معبوُدِ برحق تراوِت عِبادت آسو کران۔ یِمہ مُصیبتہ کہ وقتہ کونہ چھہِ تِم توہیہ کامہِ یوان قَالُوا ضَلُّوا عَنَّا تِم کافر دِپن تِم ساری راوِتہ ضائع گےٚ اَسہِ نشہِ یعنی کِنہ آی نہ تِم اَسہِ بکار وَشَهِدُوا عَلَىٰ أَنفُسِهِمْ أَنَّهُمْ كَانُوا كَافِرِينَ اَمہِ وَقتہ دِن گواہی پنہ نین پانن پیٹھہ یعنی اقرار کرَن زِہ تِم آسِ واقعی کافر۔ مگر اَمہِ وقتہ اقرار کرنس تہ نادم و پشیمان سپدَنس چھُونہ کانہہ اعتبار قَالَ ادْخُلُوا فِي أُمَمٍ قَدْ خَلَتْ مِن قَبْلِكُم مِّنَ الْجِنِّ وَالْإِنسِ فِي النَّارِ اللہ تعالیٰ فرماویکھ اژِو تِمنِ کافر جماژن سیت یِم توہہِ برونٹھ گُذرِ ے مُژہ چھہ جنوّ تہ اِنسانواَندرہ نارِ جہنمّس اَندر كُلَّمَا دَخَلَتْ أُمَّةٌ لَّعَنَتْ أُخْتَهَا یلہِ یلہِ اژان آسہ جہنمّس منز اکھ اکھ جماعتھاہ۔ سو آسہِ لعنَت کران پانسی ہشہِ بیٚیس جماژ۔ یعنی تِمن آسہِ نہ پانہ وان کانہہ ہمدردی بلکہِ آسَن اکھ اکس تیچھہ نظرِ وچھان حَتَّىٰ إِذَا ادَّارَكُوا فِيهَا جَمِيعًا تااینکہ یلہِ ساری سمن جہنمّس اَندر قَالَتْ أُخْرَاهُمْ لِأُولَاهُمْ رَبَّنَا هَٰؤُلَاءِ أَضَلُّونَا فَآتِهِمْ عَذَابًا ضِعْفًا مِّنَ النَّارِ ونہِ پتِم جماعت یِم تابع رُوزِت کُفر کران آسِ برونٹھمہِ جماژہندِ خیطرٕ اِی سانہِ پروردِگارہ یِموی کیاڈال اَس کیازِہ یِم آسِ سانِ زِٹھہِ۔ پس کر یِمَن سانہِ خُوتہ دُوگن عذاب نار جہنمکّ قَالَ لِكُلٍّ ضِعْفٌ وَلَٰكِن لَّا تَعْلَمُونَ اللہ تعالیٰ فرماویکھ پریتھ اکِس چھُو دُوگن عذاب۔ مگر توہہِ چھُونہ معلوم۔ وَقَالَتْ أُولَاهُمْ لِأُخْرَاهُمْ فَمَا كَانَ لَكُمْ عَلَيْنَا مِن فَضْلٍ فَذُوقُوا

عَذَابًا ضِعْفًا مِّنَ النَّارِ ۬ؕ قَالَ لِكُلٍّ ضِعْفٌ وَّلٰكِنْ لَّا تَعْلَمُوْنَ ﴿۳۸﴾ وَقَالَتْ اُوْلٰىهُمْ لِاُخْرٰىهُمْ فَمَا كَانَ لَكُمْ عَلَيْنَا مِنْ فَضْلٍ فَذُوْقُوا الْعَذَابَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْسِبُوْنَ ﴿۳۹﴾ ع اِنَّ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَاسْتَكْبَرُوْا عَنْهَا لَا تُفَتَّحُ لَهُمْ اَبْوَابُ السَّمَآءِ وَلَا يَدْخُلُوْنَ الْجَنَّةَ حَتّٰى يَلِجَ الْجَمَلُ فِيْ سَمِّ الْخِيَاطِ ؕ وَكَذٰلِكَ نَجْزِي الْمُجْرِمِيْنَ ﴿۴۰﴾ لَهُمْ مِّنْ جَهَنَّمَ مِهَادٌ وَّمِنْ فَوْقِهِمْ غَوَاشٍ ؕ وَكَذٰلِكَ نَجْزِي الظّٰلِمِيْنَ ﴿۴۱﴾ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ

---

اَلْعَذَابَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْسِبُوْنَ بيهِ وَنهِ گوڏنچ جماعت تمواَند رہ پئيتمس جماعتس پس کياہ زيادتي بنےيہ توہہِ اَسہِ پيٺھ۔ پس ژہسوِ عذاب تمن تيچھ کامين بَدل يمہِ توہ کران آسوہ اِنَّ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَاسْتَكْبَرُوْا عَنْهَا لَا تُفَتَّحُ لَهُمْ اَبْوَابُ السَّمَآءِ پزپاٹھِ يمولوکواپزِ زانِ سانِ آيات بيہِ کورُکھ تکبّرُ تمِ آيات قبول کرنہ نشہِ ہرگزِ ينِ نہ مژراونہ تھندين رُوحن ہندہ خيطرہ آسمانن ہندِ دروازہ بلکہِ ينِ تمِ دارِ تھ دِنہ تہ واتناونہ تل پاتالس منز۔ باايمانن ہندين رُوحن ہندہ خيطرہ ينِ آسمانن ہندِ دروازہ مژرنہ۔ تھندِ رُوح ينِ واتناونہ اعلی عليينس منز۔ وَلَا يَدْخُلُوْنَ الْجَنَّةَ بيہِ اَژن نہ مُنکر تہ کافِر جنّتس حَتّٰى يَلِجَ الْجَمَلُ فِيْ سَمِّ الْخِيَاطِ يوُتانِ نہ ووٺھ اژہَ سۄژنہِ يہہ کَن۔ ووٺھ سُند شرنہ پہہِ کَن اژُن يتھہِ پاٹھہِ نامُمکن تہ محال چھوتھے پاٹھِ چھو کافِرن تہ مُشرکن ہُند جنّتس واتُن ناممکن تہِ محال۔ جَمل چھہِ عربی پاٹھہِ ونان وتچھہِ رَزہ تہِ يتھہِ دراب ونان چھہِ۔ وتچھہ رَزِہ ہُند سۄژنہِ پہہِ کَن اَژن تہِ چھو محال تہ ناممکن يتھے پاٹھِ چھو کافِر تہ مُشرِکن ہُند جنّتس منز واتُن تہِ محال۔ سۄژنہِ چھہ زيادہ مُناسبت وتچھہِ رزِہ سيت پنس سيت مُشابہت آسنکہِ اعتبارہ وَكَذٰلِكَ نَجْزِي الْمُجْرِمِيْنَ يتھے پاٹھہ کيادِموَاَسِ سزا نافرمانن لَهُمْ مِّنْ جَهَنَّمَ مِهَادٌ وَّمِنْ فَوْقِهِمْ غَوَاشٍ وَكَذٰلِكَ نَجْزِي الظّٰلِمِيْنَ تھندِہ خيطرہ آسہِ جهنّمہ کوٗی وتھُرن۔ بيہِ پيٹھکن

لَا نُكَلِّفُ نَفۡسًا اِلَّا وُسۡعَهَاۤ اُولٰٓئِكَ اَصۡحٰبُ الۡجَنَّةِ ۚ هُمۡ فِيۡهَا
خٰلِدُوۡنَ ﴿۴۲﴾ وَنَزَعۡنَا مَا فِىۡ صُدُوۡرِهِمۡ مِّنۡ غِلٍّ تَجۡرِىۡ مِنۡ
تَحۡتِهِمُ الۡاَنۡهٰرُ ۚ وَقَالُوا الۡحَمۡدُ لِلّٰهِ الَّذِىۡ هَدٰٮنَا لِهٰذَا ۗ وَمَا كُنَّا
لِنَهۡتَدِىَ لَوۡلَاۤ اَنۡ هَدٰٮنَا اللّٰهُ ۚ لَقَدۡ جَآءَتۡ رُسُلُ رَبِّنَا بِالۡحَقِّ ؕ
وَنُوۡدُوۡۤا اَنۡ تِلۡكُمُ الۡجَنَّةُ اُوۡرِثۡتُمُوۡهَا بِمَا كُنۡتُمۡ تَعۡمَلُوۡنَ ﴿۴۳﴾
وَنَادٰٓى اَصۡحٰبُ الۡجَنَّةِ اَصۡحٰبَ النَّارِ اَنۡ قَدۡ وَجَدۡنَا مَا وَعَدَنَا

---

تمہِ کوئی وُرن۔ یعنے پریتھ طرفہ آسہِ تمن ناری نار۔ اَسِ چھہِ یتھین ظالمن یتھوی سزادوان۔ وَالَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَا نُكَلِّفُ نَفۡسًا اِلَّا وُسۡعَهَاۤ اُولٰٓئِكَ اَصۡحٰبُ الۡجَنَّةِ ۚ هُمۡ فِيۡهَا خٰلِدُوۡنَ بیہ یمو لُوکو اِیمان اُون خدایہ سندین آیاتن بیہ کریکھ رژہ عملہ۔ رژہ عملہ کرنہِ چھُونہ تیوت مُشکل کینہہ تہِ۔ کیازِہ اَسِ چھنہِ کانسہِ شخصس زور کران عمل کرنُک مگر تژی ہن ایژہن سُو ہیکہِ۔ تمے لوک چھہِ جنّتس منز واتن والِ یم تُوت واتتھ ہمیشہ روزن تتھ منز۔ بیہ آسَن نہ جہنّمین ہندِ پاٹھہِ اکھ اکس سیت بدکلامی کران کیازِہ وَنَزَعۡنَا مَا فِىۡ صُدُوۡرِهِمۡ مِّنۡ غِلٍّ اسِ کڈوتہند یو دِلو اندرہ ساری رنجشِ۔ بیہ آسہِ نہ کانسہِ بَین ہُند تھود مرتبہ تہ تھود درجہ وُچھِت ناخوش یوان بلکہِ آسہِ پریتھ اکھاہ پننہِ پننہِ جایہ خوش تَجۡرِىۡ مِنۡ تَحۡتِهِمُ الۡاَنۡهٰرُ ۚ وَقَالُوا الۡحَمۡدُ لِلّٰهِ الَّذِىۡ هَدٰٮنَا لِهٰذَا یکان آسَن تہند یو باغو تہ مکانو منز واریاہ جویہ۔ خوشی۔ فرحت تہ سُرورہ سیت آسَن تمِ ونان حمد و ثنا بوینِ تس معبودِ برحقس یمِ وَتھ ہاوَ اَسہِ تمن کامین کُن یمن کامین ہنز مُزورِ یہ جنّت چھُو۔ وَمَا كُنَّا لِنَهۡتَدِىَ لَوۡلَاۤ اَنۡ هَدٰٮنَا اللّٰهُ اَسِ ہیکہ ہونہ واتتھ تہ وَتھ لبتھ۔ ہرگاہ نے اَسہِ اللہ تعالیٰ وَتھ ہاوِہا لَقَدۡ جَآءَتۡ رُسُلُ رَبِّنَا بِالۡحَقِّ واقعی سانِس پروردِگارہ سندِ پیغمبر آے اَسہِ نِشہِ پزہ کتھہ ہیتھ۔ وَنُوۡدُوۡۤا اَنۡ تِلۡكُمُ الۡجَنَّةُ اُوۡرِثۡتُمُوۡهَا بِمَا كُنۡتُمۡ تَعۡمَلُوۡنَ توپتہ ایکھ بڈِہ آلو دِنہ۔ ای جنتیو یمِ جنت آی توہہِ وراثتہ پاٹھہِ عطا کرنہ۔ تتھ بدل یہِ تُہہ کران آسوہ دُنیاءس اندر رَژو عملوَ اندرہ وَنَادٰٓى اَصۡحٰبُ الۡجَنَّةِ اَصۡحٰبَ النَّارِ اَنۡ قَدۡ وَجَدۡنَا مَا وَعَدَنَا رَبُّنَا حَقًّا بیہ یلہِ جنتی جنّتن

رَبُّنَا حَقًّا فَهَلْ وَجَدْتُّمْ مَّا وَعَدَ رَبُّكُمْ حَقًّا ؕ قَالُوْا نَعَمْ ۚ فَاَذَّنَ مُؤَذِّنٌۢ بَيْنَهُمْ اَنْ لَّعْنَةُ اللّٰهِ عَلَى الظّٰلِمِيْنَ ﴿۴۴﴾ الَّذِيْنَ يَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ وَيَبْغُوْنَهَا عِوَجًا ۚ وَهُمْ بِالْاٰخِرَةِ كٰفِرُوْنَ ﴿۴۵﴾ وَبَيْنَهُمَا حِجَابٌ ۚ وَعَلَى الْاَعْرَافِ رِجَالٌ يَّعْرِفُوْنَ كُلًّاۢ بِسِيْمٰىهُمْ ۚ

منز واتن پنن خوشی تہ فرحت ظاہر کرنہ خیطرہ بیہ جہنمین ہُند حسرت تہ افسوس زیادہ کرنہ خیطرہ دِن تم تمہ ساتہ جہنمہ کین لُوکن کُن آلو۔ ای جہنمیو پزپاٹھ اَسہِ سیت یُس وعدہ سانِ پروردِگارن کورمُت اُوس کہ ایمانس تہ رژن عملن بدَل کرووہ تُوہہِ عطاجنت تہ لوب اَسہِ حق تہ پوز فَهَلْ وَجَدْتُّمْ مَّا وَعَدَ رَبُّكُمْ حَقًّا ای جہنمیو تُہہ وَنو کیاہ توہہ تہ لبوہ سُو عذاب یمیک وعدہ اُوسوہ کورمُت پروردِگارن پنن پوز تہ واقعی۔ کہ کُفرہ سببہ واتناوِوہ نار جہنمس اَندر۔ کیاہ وَنِ آیوہ بُوزنہ پنن گُمراہی تہ خداور سُولہ سُند فرمان حق تہ پوز آسُن قَالُوْا نَعَمْ تم دِمن جواب واقعی اللہ تعالیٰ سُند تہ تہندِس پیغمبر برحقہ سُند فرماوُن دراوٗ بالکُل پوز فَاَذَّنَ مُؤَذِّنٌۢ بَيْنَهُمْ اَنْ لَّعْنَةُ اللّٰهِ عَلَى الظّٰلِمِيْنَ پَس دِیہ آلو دِوہ وُناہ آلو۔ یمہِ سیت جنتین ہنز خوشی تہ مسرت زیادہ سپدِہ جہنمین ہُند حسرت تہ افسوس ہرُہ کہ لعنت خدائیوِن ظالمن۔ الَّذِيْنَ يَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ وَيَبْغُوْنَهَا عِوَجًا وَهُمْ بِالْاٰخِرَةِ كٰفِرُوْنَ یم ظالم بُتھ پھران آسِ خدایہ سنزِ وَتہ نشہِ تُہند دِین قُبول کرنہ نشہ بلکہ آسِ ژھانڈان دینِ حقس منز پننہ خیالہ نیرِہ ناکانہہ، ہِج کتھاہ۔ کانہہ عیباہ۔ یُتھ تمن اعتراضُک مُوقعہ ییہِ ہا۔ بیہ آسِ تم آخرتس تہ اِنکار کران۔ یمُک نتیجہ تِم ازتلان چھہِ وَبَيْنَهُمَا حِجَابٌ تمن دوشوِن فریقن منز۔ جنتین تہ جہنمین منز آسہِ اکھ ٹھوراہ تہ اکھ دیواراہ۔ یمہِ ٹھرہ تہ دیوارہ سیت جنتُک اثر جہنمس کُن واتان آسہِ نہ تہ جہنمُک اثر جنتس کُن واتان آسہِ نہ۔ امی ٹھریک تہ دیوارُک ہیر یم حصہِ تتھ چھُو ناوا اعراف۔ تمہِ پیٹھہ آسہِ نظر جنتس پیٹھ تہ جہنمس پیٹھ تہ۔ بُوزنہ آسَن یوان تمہِ پیٹھ جنتی تہ تہ جہنمی تہِ وَعَلَى الْاَعْرَافِ رِجَالٌ يَّعْرِفُوْنَ كُلًّاۢ بِسِيْمٰىهُمْ اعرافس پیٹھہ آسَن واریاہ لُوکھ یم تمن دُوشوِنی جماژن جنتین تہ تہ جہنمین تہ پرزہ ناوان پننہ پننہ علامتہ سیت۔ سُو گوائی کہ جنتین ہندِ بُتھہ آسَن سفید تہ رُوشن۔ تمن آسہِ بُتھہ پیٹھہ نُور وسان۔ جہنمین ہند بُتھہ آسَن سیاہ تہ

وَنَادَوْا أَصْحٰبَ الْجَنَّةِ أَنْ سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ قف لَمْ يَدْخُلُوهَا وَهُمْ يَطْمَعُونَ ﴿٤٦﴾ وَإِذَا صُرِفَتْ أَبْصَارُهُمْ تِلْقَاءَ أَصْحٰبِ النَّارِ لا قَالُوا رَبَّنَا لَا تَجْعَلْنَا مَعَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِينَ ﴿٤٧﴾ ع وَنَادٰى أَصْحٰبُ الْأَعْرَافِ رِجَالًا يَعْرِفُونَهُمْ بِسِيمٰهُمْ قَالُوا مَا أَغْنٰى عَنْكُمْ جَمْعُكُمْ وَمَا كُنْتُمْ تَسْتَكْبِرُونَ ﴿٤٨﴾ أَهٰؤُلَاءِ الَّذِينَ أَقْسَمْتُمْ لَا يَنَالُهُمُ اللّٰهُ بِرَحْمَةٍ ط

---

گنگٹ۔ تمن آسہِ بُتھہِ پیٹھہ تاریکی پَشپان۔ اعراف پچھواکھ کو ہاکھ جنّتس تہ جہنمس منز باگ۔ تتہِ مِنِ تھاونہ تمِ لُوکھ یمن ہنزہ نیکی تہ بدی برابر آسن تولنس منز بجرٕ ہ۔ پتو لاکہ واتن تمِ تہ جنّتس خدایہ سندہ فضلہ سیت وَنَادَوْا أَصْحٰبَ الْجَنَّةِ أَنْ سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ لَمْ يَدْخُلُوهَا وَهُمْ يَطْمَعُونَ تمِ اعرافس منز روزہ ونِ لُوکھ ونن آلو دِت جنتہ کین لُوکن ای جنتیو سلام بُوینوہ۔ تمِ آسن نہ ونہِ جنّتس منز ژامتِ مگر سخت خواہش تہ اُمید آسکھ تتھ منز واتنچ۔ حدیثِ شریفس منز چھُو آمُت کہِ تہنز اُمید یِیہِ پوٗرٕ کرنہ۔ تہندِ ہ خیطرٕ ہ سپدِہ حُکم جنّتس منز اژنک وَإِذَا صُرِفَتْ أَبْصَارُهُمْ تِلْقَاءَ أَصْحٰبِ النَّارِ قَالُوا رَبَّنَا لَا تَجْعَلْنَا مَعَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِينَ تو پتہ یلہِ تہنزٕ ہ اَچھہِ نارہ کین لُوکن کُن پھِرنہ ینِ یعنی یلہِ تمن اعرافہ کین لُوکن جہنّمین پیٹھ نظر پیِیہ۔ خوف کھیتھہ لگن دَپنہ ای سانہِ پروردِگارہ اَسہ مہ تھاو تمن ظالمن سیت عذابس منز شامِل وَنَادٰى أَصْحٰبُ الْأَعْرَافِ رِجَالًا يَعْرِفُونَهُمْ بِسِيمٰهُمْ قَالُوا مَا أَغْنٰى عَنْكُمْ جَمْعُكُمْ وَمَا كُنْتُمْ تَسْتَكْبِرُونَ یتھہِ پاٹھہِ اِعرافہ کیو لُوکو جنّتین سیت سَلام وکلام کُورتھے پاٹھہِ دِن تمِ آلو جہنّمیو منزہ وارِ یہن لُوکن یمن تمِ پرزہ ناوَن تہندِ یو علامتو سیت کہ تمِ چھہِ کافر جہنّمی کیازِہ تمن آسہِ بُتھہِ پیٹھہ تاریکی پشپان۔ تمنی دپن ای جہنّمیو کُنہ تہِ آیو نابکار توہہِ پنُنِ جماعت۔ بیہِ دُیت نہ توہہِ کانہہ فائیدہ تکبّر وغُرورن۔ پنُن پان آسوِہ تُہہ بوڈ بوزنہ یِوان۔ مسلمانن باایمانن آسوِہ وچھان نچہِ نظرِ ہ۔ پیغمبرن ہنز فرمانبرداری آس نہ توہہِ گوار اگرٕ ھان أَهٰؤُلَاءِ الَّذِينَ أَقْسَمْتُمْ لَا يَنَالُهُمُ اللّٰهُ بِرَحْمَةٍ کیا یِم جنّتس منز واتتھ عیش کران چھہِ تیٖمے چھا تمِ یمن مُتعلق قسم ہاوِہو آسوِہ تُہہ ونان کہِ یمن زچورن کرِہ نہ اللہ تعالیٰ پنُنِ رحمت عطا۔ ڈ چھان

اُدْخُلُوا الْجَنَّةَ لَا خَوْفٌ عَلَيْكُمْ وَلَآ اَنْتُمْ تَحْزَنُوْنَ ﴿٤٩﴾ وَنَادٰٓى
اَصْحٰبُ النَّارِ اَصْحٰبَ الْجَنَّةِ اَنْ اَفِيْضُوْا عَلَيْنَا مِنَ الْمَآءِ اَوْ مِمَّا
رَزَقَكُمُ اللّٰهُ ؕ قَالُوْٓا اِنَّ اللّٰهَ حَرَّمَهُمَا عَلَى الْكٰفِرِيْنَ ﴿٥٠﴾ الَّذِيْنَ
اتَّخَذُوْا دِيْنَهُمْ لَهْوًا وَّ لَعِبًا وَّ غَرَّتْهُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا ۚ فَالْيَوْمَ
نَنْسٰهُمْ كَمَا نَسُوْا لِقَآءَ يَوْمِهِمْ هٰذَا ۙ وَمَا كَانُوْا بِاٰيٰتِنَا يَجْحَدُوْنَ ﴿٥١﴾
وَلَقَدْ جِئْنٰهُمْ بِكِتٰبٍ فَصَّلْنٰهُ عَلٰى عِلْمٍ هُدًى وَّرَحْمَةً

---

چھوِ تِمنی ہندِ حقہ سپُد حُکم خدایِہ سندِ طرف اُدْخُلُوا الْجَنَّةَ لَا خَوْفٌ عَلَيْكُمْ وَلَآ اَنْتُمْ تَحْزَنُوْنَ ای
غریب باایمانو اژو جنتس یتہِ نہ توہہِ زانہہ کانہہ خوف نہ کانہہ غم آسہِ وَنَادٰٓى اَصْحٰبُ النَّارِ اَصْحٰبَ
الْجَنَّةِ اَنْ اَفِيْضُوْا عَلَيْنَا مِنَ الْمَآءِ اَوْ مِمَّا رَزَقَكُمُ اللّٰهُ یتھ پاٹھِ جنتیو گرِ کتھ جہنّمین سیت یتھے پاٹھِ دِن ناد
جہنّمکِ لُوکھ جنتہ کین لُوکن کہِ ای جنتیو۔ بُوچھہِ سیت تہ تریشہ سیت چھہ گُو ٹھن زیو پھٹمژ۔ تراوِو ناسہِ کُن
اکھ تریشہِ داماہ۔ یا دیتو اَسہِ کنیژھاہ تمہِ منزہ یہ توہہِ اللہ تعالیٰ ان کھینہ خیطرہ عطا کورمُت چھو۔ قَالُوْٓا اِنَّ
اللّٰهَ حَرَّمَهُمَا عَلَى الْكٰفِرِيْنَ جنتی دِپنکھ اللہ تعالیٰ اَنِ چھہِ تمِ دوشُوے چیز یعنی جنتُک کھین تہ چین حرام
کورمُت کافرن پیٹھ الَّذِيْنَ اتَّخَذُوْا دِيْنَهُمْ لَهْوًا وَّ لَعِبًا وَّ غَرَّتْهُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا تِمن کافرن پیٹھ تِموِ
دُنیاء س منز دِین یُس قبول کرُن تِمن پیٹھ واجب اُوس۔ زونمُت اُوس تماشہِ تہ گِندُناہ۔ بیہ اُوس تِمن
دُھوکہ دیتمت دنیاچہِ زندگی۔ تِمن اُوس خیال زِ مَرنُوی چھُو نہ زانہہ تِمی سببہ اُوسکھ سُورُوی
مَشرومُت۔ دِینک آسِ نہ بران کانہہ پروا۔ سُو اوسکھ سردست پَسِ پُشت ترومُت فَالْيَوْمَ نَنْسٰهُمْ كَمَا
نَسُوْا لِقَآءَ يَوْمِهِمْ هٰذَا ۙ وَمَا كَانُوْا بِاٰيٰتِنَا يَجْحَدُوْنَ اَس تہِ مشراوکھ تمِ اَز کہ دُوہہ نار س منز واتہ ناوِتھ
ہیمونہ اَسِ تہُند ناوتہِ اَدہ چھنہ کتھے کھیاونچ تہ چاونچ۔ یتھہ پاٹھِ تِموَ مشرومُت اُوس اَز کہ دُہک ملاقات
یمہِ دُہک سامانہ تیار نہ کرنہ سیت بیہ یتھہ پاٹھہ آس تِم سانین آیاتن اِنکار کران وَلَقَدْ جِئْنٰهُمْ بِكِتٰبٍ
فَصَّلْنٰهُ عَلٰى عِلْمٍ هُدًى وَّرَحْمَةً لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ پزِ پاٹھِ اَسہِ واتہ ناوِے یہ تِمن نِش کتاباہ یعنی قرآنِ

لِقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ﴿۵۲﴾ هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّا تَاْوِيْلَهٗ ؕ يَوْمَ يَاْتِيْ
تَاْوِيْلُهٗ يَقُوْلُ الَّذِيْنَ نَسُوْهُ مِنْ قَبْلُ قَدْ جَآءَتْ رُسُلُ
رَبِّنَا بِالْحَقِّ ۚ فَهَلْ لَّنَا مِنْ شُفَعَآءَ فَيَشْفَعُوْا لَنَآ اَوْ نُرَدُّ فَنَعْمَلَ
غَيْرَ الَّذِيْ كُنَّا نَعْمَلُ ؕ قَدْ خَسِرُوْٓا اَنْفُسَهُمْ وَضَلَّ عَنْهُمْ مَّا
كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ ﴿۵۳﴾ ع اِنَّ رَبَّكُمُ اللّٰهُ الَّذِيْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَ
الْاَرْضَ فِيْ سِتَّةِ اَيَّامٍ ثُمَّ اسْتَوٰى عَلَى الْعَرْشِ ۫ يُغْشِي الَّيْلَ

---

مجيد۔ ڀتھ منز پُورہ علمہ سان اَسہِ تمام چيزن ہنز وضاحت کرے يہ۔ تِ کريو اَسہِ بيان سارنِ لُوکن
بُوزناونہ خيطرٕ۔ مگر سۆ کِتاب سپز ذريعہ ہدايت ورحمت تِمنۍ لوکن ہندِ خيطرٕ يِمو سۆ بُوزِتھ پڑھ کرتہ
ايمان اُون۔ يِمو باوجودِ اتمام حجت پڑھ کٔرنہ تہ ايمان اُون نہ تھندِ حالہ اَندرٕ چھُو پريڈان کہ هَلْ
يَنْظُرُوْنَ اِلَّا تَاْوِيْلَهٗ يَوْمَ يَاْتِيْ تَاْوِيْلُهٗ کہ تِم چھنہ پرَ اران مگر قرآن مجيدس منز بيان کرنہ آمتس
تہ وعدہ تھاونہ آمتس وعيدس يعنی سزاءس يَقُوْلُ الَّذِيْنَ نَسُوْهُ مِنْ قَبْلُ قَدْ جَآءَتْ رُسُلُ رَبِّنَا بِالْحَقِّ
يِمہِ دوہہ سُو عذاب واقع سپدَ نُک مُوقعہ واتہِ تِمہِ دوہہ دِپن تِم لُوکھ يِمو يہ قيامتک دُوہ مشرُومُت اُوس
مجبور و مُضطر سپدِت کہ واقعی سانس پروردِگارہ سندِ پيغمبر آۓ پزٕ کتھ ہيتھ مگر اَسہِ توگ نہ بوزُن فَهَلْ
لَّنَا مِنْ شُفَعَآءَ فَيَشْفَعُوْا لَنَآ وُنِ چھا سانہ کانہ سِفارش کرہ وُناہ۔ اَسہِ کرِہا سُفارش يِمہِ سيت اَسِ
نجات لبہ ہو اَوْ نُرَدُّ فَنَعْمَلَ غَيْرَ الَّذِيْ كُنَّا نَعْمَلُ نتہٕ يِمہِ ہوا اَسِ واپس دُنياءس گژھن سوزنہ تہ کرہ ہوا اَسِ
تِمے رٕژہ عملہ يِمہِ تِمن تيچھ کامين بدل آسہن يِمہِ اَسِ برونٹھ کران آس دُنياءس اَندر۔ اللّٰہ تعالٰی
چھُو فرماوان کہ يِمہِ کتھ گيہِ وُنِ چھنہ تِمن کانہ صُورتھاہ نجاتچ قَدْ خَسِرُوْٓا اَنْفُسَهُمْ بيشک تِمو تراوِ
پنٕنِ پان کُفر کرنہ سيت تاوانس تہ نقصانس اَندر وَضَلَّ عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ بيہِ گيہِ ضايع تِمہِ سارے
اَپزٕ کتھ يِمہِ تِم نوور اوان آسِ کہ اَسہِ کرن معبُودِ ان باطِل شفاعت اِنَّ رَبَّكُمُ اللّٰهُ الَّذِيْ خَلَقَ
السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضَ فِيْ سِتَّةِ اَيَّامٍ پزٕ پاٹھہِ تُہند پروردِگار چھُو اللّٰہ تعالٰی يِمہِ آسمان تہ زمين پيدہِ

النَّهَارَ يَطْلُبُهُ حَثِيثًا وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ وَالنُّجُومَ مُسَخَّرٰتٍۢ بِاَمْرِهٖ ؕ اَلَا لَهُ الْخَلْقُ وَالْاَمْرُ ؕ تَبٰرَكَ اللّٰهُ رَبُّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿۵۴﴾ اُدْعُوْا رَبَّكُمْ تَضَرُّعًا وَّخُفْيَةً ؕ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْمُعْتَدِيْنَ ﴿۵۵﴾ وَلَا تُفْسِدُوْا فِى الْاَرْضِ بَعْدَ اِصْلَاحِهَا وَادْعُوْهُ خَوْفًا وَّطَمَعًا ؕ اِنَّ رَحْمَتَ

---

کرشین ۶ دوہَن برابر مدتس منز ثُمَّ اسْتَوٰى عَلَى الْعَرْشِ تو پتہ سپُد مستوی عرشِ مجیدس پیٹھ تمہِ طریقہ یُس تہندِس ذاتِ پاکس شایان شان چھُو يُغْشِى الَّيْلَ النَّهَارَ سُوی پروردِگار چھُو راژ ہنزِ تارکی سیت ولان دُوہچہِ روشنی يَطْلُبُهٗ حَثِيثًا ژھانڈان چھُو دوہ راتس تہ رات دوہَس وَل وَل، دوشوے چھِ اکھ اکس پتہ یوانِ تہ گژھان وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ وَالنُّجُوْمَ مُسَخَّرٰتٍۢ بِاَمْرِهٖ بیہِ کُرِ اللہ تعالیٰ اَن پیدہ آفتاب تہ زُون بیہِ باقی تارک یمہِ طریقہ کہِ ساری چھِ پنہ نِس رفتارس تہ انوار آثارن اندر تابع تہندِس حُکمس۔ یتھِ پاٹھِ سُو یکہ ناویکھ تتھ پاٹھِ چھِ پکان۔ یُس تصرف تمن پیٹھ تراوُن یژھان چھُو تتھ پیٹھ چھِ تمِ روزان اَلَا لَهُ الْخَلْقُ وَالْاَمْرُ تَبٰرَكَ اللّٰهُ رَبُّ الْعٰلَمِيْنَ وارہ بُوزِو کہ پیدہ کرُن چھُ خاص تہنزی کُوم۔ حُکم کرُن تہ چھُ تہنزی کُوم۔ سیٹھاہ بجہِ خوبیہ ڈول چھُو اللہ تعالیٰ یُس سارنی عالمین ہُند پروردگار چھُو۔ یلہِ سُو سیٹھاہ خوبی ڈول چھُو توہہ پزِہ اُدْعُوْا رَبَّكُمْ تَضَرُّعًا وَّخُفْيَةً ؕ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْمُعْتَدِيْنَ ای لوگو کہِ تُہہِ منگوپنِ ساری حاجت پریتھ وقتہ پنہ نِس پروردِگارس عاجزی سان تہِ، پُوشیدہ پاٹھِ تہِ۔ پزِ پاٹھِ سُو چھُو نہ پسند کران تمن یمِ دُعاءن ہندیو آدابو نِشہِ حدہ ڈلان چھِ یعنی تی منگن یہ نہ شوبہ بیہِ تتھ پاٹھ منگن یتھ پاٹھ نہ شوبہ وَلَا تُفْسِدُوْا فِى الْاَرْضِ بَعْدَ اِصْلَاحِهَا بیہِ مہ تُلو تباہی دُنیاءس اندر شِرکہ سیت تہ نافرمانیو سیت تتھ اندر توحید و اطاعتہ سیت تہ پیغمبرن ہندِہ تبلیغ وارِشادہ سیت اَمن وامان قائم سپدنہ پتہ وَادْعُوْهُ خَوْفًا وَّطَمَعًا خدایس کھوژِ کھوژِ تہ تہندہ رحمچ امید تھاوت تہ آسو کران تس دعاء نہ عِبادت کرِت نہ گژھہِ مغرور گژھُن نہ

اللّٰهِ قَرِيْبٌ مِّنَ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۵۶﴾ وَهُوَ الَّذِيْ يُرْسِلُ الرِّيٰحَ بُشْرًاۢ بَيْنَ يَدَيْ رَحْمَتِهٖ ؕ حَتّٰٓى اِذَآ اَقَلَّتْ سَحَابًا ثِقَالًا سُقْنٰهُ لِبَلَدٍ مَّيِّتٍ فَاَنْزَلْنَا بِهِ الْمَآءَ فَاَخْرَجْنَا بِهٖ مِنْ كُلِّ الثَّمَرٰتِ ؕ كَذٰلِكَ نُخْرِجُ الْمَوْتٰى لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ ﴿۵۷﴾ وَالْبَلَدُ الطَّيِّبُ يَخْرُجُ نَبَاتُهٗ بِاِذْنِ رَبِّهٖ ۚ وَالَّذِيْ خَبُثَ

---

گژھہ نااُمید سپُدن کیازہ اِنَّ رَحْمَتَ اللّٰهِ قَرِيْبٌ مِّنَ الْمُحْسِنِيْنَ پزٕ پاٹھِ خدایہ سنز رحمت چھہ نزدیک نیکو کارن وَهُوَ الَّذِيْ يُرْسِلُ الرِّيٰحَ بُشْرًاۢ بَيْنَ يَدَيْ رَحْمَتِهٖ سُو پروردگار گو سُوی یُس بارانِ رحمت تراونہ برونٹھ چھُو ہواسوزان یِتھ سُو بارشہٕ ہنز اُمید دِتھ لُوکن ہند دِل خوش کرہ حَتّٰٓى اِذَآ اَقَلَّتْ سَحَابًا ثِقَالًا سُقْنٰهُ لِبَلَدٍ مَّيِّتٍ تااینکہ یلہ تمہٕ ہوا تُلان چھہ گوبین اَبرن، پکناوان چھِن اَسِ سُو ابرتتھ شہرس کُن یُس آبہ دادِہ ہوکھمت آسان چھُو۔ تو پتہ چھُو سُو ابرتتھ شہرس پیٹھ رُود تراوان۔ سُو شہر چھُو سرسبز سپدان۔ تمہٕ شہرکہِ مُومتہٕ زمینہ منزہ چھہِ کُلِ تہٕ گاسہ کھسان۔ امی سیت چھُو سپدان ثابتِ سُون کُن آسُن تہٕ قدرتہٕ وول آسُن۔ یہِ تہِ سپُد ثابت کہِ اَسہِ چھہ قدرت مَرنہ پتہ بیہِ زِندہ کرنس پیٹھ فَاَنْزَلْنَا بِهِ الْمَآءَ فَاَخْرَجْنَا بِهٖ مِنْ كُلِّ الثَّمَرٰتِ یُس چھہ تراوان اَسِ تمہٕ اَبرہ منزہ رُود۔ یُس چھہ اَسِ کڈان تمہٕ رُودہ سیت پریتھ قسمکِ میوہ كَذٰلِكَ نُخْرِجُ الْمَوْتٰى لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ یتھے پاٹھہِ کیاہ کڈوکھہ اَسِ مُردہ قبرِ واندرہ زندہ کرتھ۔ اَسِ چھہِ پننہِ قُدرتکِ آثار بیان کران۔ تاکہ تُہہ کرِو تمن کتھن اندر غور۔ تو پتہ کرِو پژھہ مَرنہ پتہ بیہِ زِندہ سپدنس تہٕ قیامتس۔ سُون کلام پاک اُوس پننہِ جایہ پریتھ کانسہِ ہندہ خیطرہ کافی۔ یہِ اُوس مَگان کہ پریتھ اکھ گژھہ توحیدورسالت تہٕ معادس پژھ کرُن۔ مگر ادہ کیازہ چھِنہ ساری پژھ کران۔ تمیُک وجہ چھُو کہ کانہہ چھُو قابلِ آسان تہٕ کانہہ ناقابلِ آسان۔ یتھہِ پاٹھہِ رُود چھُو ساری زمینس پیٹھ پیوان مگر ساری زمینہ منزہ چھُونہ کنُوی نتیجہ نیران وَالْبَلَدُ الطَّيِّبُ يَخْرُجُ نَبَاتُهٗ بِاِذْنِ رَبِّهٖ وَالَّذِيْ خَبُثَ لَا يَخْرُجُ اِلَّا نَكِدًا یُس زمین رُت چھُو آسان تمیُک پیداوار

لَا يَخْرُجُ إِلَّا نَكِدًا ۚ كَذَٰلِكَ نُصَرِّفُ الْآيَاتِ لِقَوْمٍ يَشْكُرُونَ ﴿٥٨﴾ ع

لَقَدْ أَرْسَلْنَا نُوحًا إِلَىٰ قَوْمِهِ فَقَالَ يَا قَوْمِ اعْبُدُوا اللَّهَ مَا لَكُم مِّنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُ إِنِّي أَخَافُ عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ عَظِيمٍ ﴿٥٩﴾ قَالَ الْمَلَأُ مِن قَوْمِهِ إِنَّا لَنَرَاكَ فِي ضَلَالٍ مُّبِينٍ ﴿٦٠﴾ قَالَ يَا قَوْمِ لَيْسَ بِي ضَلَالَةٌ وَلَٰكِنِّي رَسُولٌ مِّن رَّبِّ الْعَالَمِينَ ﴿٦١﴾ أُبَلِّغُكُمْ رِسَالَاتِ رَبِّي وَأَنصَحُ لَكُمْ وَأَعْلَمُ مِنَ اللَّهِ مَا لَا تَعْلَمُونَ ﴿٦٢﴾

چھُو خدایہ سندِہ فضلہ سیت واریاہ تہ رُتوی نیران۔ یُس زمین پچھہ تہ خراب چھُو آسان تمہِ منزہ چھُونہ نیران کینہہ تہِ مگر خراب تہ ردی سیٹھاہ کم کَذَٰلِكَ نُصَرِّفُ الْآيَاتِ لِقَوْمٍ يَشْكُرُونَ تِتھے پاٹھہِ چھہِ اَسِ پننہِ دلیلہ پھیرِ پھیرِ واریہو طریقو بیان کران قدردان لوکَن ہندِہ خیطرہ لَقَدْ أَرْسَلْنَا نُوحًا إِلَىٰ قَوْمِهِ فَقَالَ يَا قَوْمِ اعْبُدُوا اللَّهَ مَا لَكُم مِّنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُ تحقیق اَسہِ سُوز حضرتِ نوح پیغمبر پننہِ نِس قومَس کُن۔ پَس فرموو تمَوٚ پننہ نِس قومَس۔ اَی میانہِ قومہِ۔ تُہہِ کٔرِو عبادت صرِف معبودِ برحقہ سنز۔ تَس ورای چھُونہ کانہہ تہِ تُہندِہ خیطرہ معبود آسنس قابلِ۔ یِمَن کنہ وین شُکلن تُہہ پرستش کران چھوِہ۔ تمہِ نِشہِ رُوزِو پتھ۔ إِنِّي أَخَافُ عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ عَظِيمٍ ہرگاہ نَے تُہہ زِی یاژ عبادت کٔرِو میہ چھُو اندیشہ تُہندِہ خیطرہ کہ تُہہ ماگژھو شرکہ تہ بُت پرستی سببہ بڈہ دُہکس یعنی قیامتہ کِس عذابس یا طوفانس گرِفتار قَالَ الْمَلَأُ مِن قَوْمِهِ إِنَّا لَنَرَاكَ فِي ضَلَالٍ مُّبِينٍ وننہ لگِس قومِک زِٹھ اَی نوح اَسہِ چھُوکھہ ژہ بوزنہ یِوان نَنہِ گمراہی تہ غلطی اَندر مُبتلا۔ کیازِہ تُہہ چھوہ توحیدچ تعلیم کران۔ بیہِ چھوِہ تُہہ عذابَس کھوژہ ناوان قَالَ يَا قَوْمِ لَيْسَ بِي ضَلَالَةٌ وَلَٰكِنِّي رَسُولٌ مِّن رَّبِّ الْعَالَمِينَ حضرتِ نوحن دوپنکھہ جواب اَی میانہ قومہ مہ چھنہ کانہہ گُمراہی تہ غلطی۔ لیکن چونکہ بو چھُس پیغمبر۔ ربُ العالینہ سندِہ طرفہ تمی چھُومہ حُکم فرمووُمت أُبَلِّغُكُمْ رِسَالَاتِ رَبِّي وَأَنصَحُ لَكُمْ وَأَعْلَمُ مِنَ اللَّهِ مَا لَا تَعْلَمُونَ بوچھُوس توہہِ نِشہِ پننہ نِسِ پروردگارہ سند پیغامات واتناوان۔ یہِ چھُوس بوپٕنن فرض منصبی اداکران۔ میہ چھُونہ اتھ اندر

أَوَعَجِبْتُمْ أَنْ جَآءَكُمْ ذِكْرٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ عَلٰى رَجُلٍ مِّنْكُمْ لِيُنْذِرَكُمْ وَلِتَتَّقُوْا وَلَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ ﴿۶۳﴾ فَكَذَّبُوْهُ فَأَنْجَيْنٰهُ وَالَّذِيْنَ مَعَهٗ فِى الْفُلْكِ وَأَغْرَقْنَا الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا ط إِنَّهُمْ كَانُوْا قَوْمًا عَمِيْنَ ﴿۶۴﴾ ع وَإِلٰى عَادٍ أَخَاهُمْ هُوْدًا ط قَالَ يٰقَوْمِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ إِلٰهٍ غَيْرُهٗ ط أَفَلَا تَتَّقُوْنَ ﴿۶۵﴾

---

ڪانهه ذاتي غرض هو. ٻيو ڇوته هو پنهنجي خطري ۾ پاڻ کي ڇو وجهي؟ ڪيا ته توحيد ۾ خدا کي ڪهڙو فائدو ۽ نفع؟ ٻيو توهان کي وڏي ڳالهه ڪري عجب ٿو لڳي ته ڇو هن جي سڀني کي غلطي ۾ جهليو ته ڇو ٿا بتن جي پوڄا ڪيو؟ الله تعاليٰ اسان کي ٻيو ڪو نه ٻڌايو آهي. مون کي خدا فرمايو آهي ته هن خدا کي شريڪ ٺهرائي تسبيح ڪيو ته ان تي عذاب اچي ٿو. اَوَعَجِبْتُمْ اَنْ جَآءَكُمْ ذِكْرٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ عَلٰى رَجُلٍ مِّنْكُمْ ڪيا ته هي ته عجيب ڳالهه ڪا توهان وٽ توهان جي پروردگار جي طرف کان توهان جي اندر هڪ شخص جي ذريعي وعظ ۽ نصيحت آئي. سڀ نصيحت آئي ته عبادت ڪريو معبود برحق جي ۽ لِيُنْذِرَكُمْ وَلِتَتَّقُوْا وَلَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ جيئن هو شخص توهان کي خدا جي حڪم، توهان جي عذاب کان ڊيڄاري. ٻيو جيئن توهان ڊڄڻ سان توهان ٻچو. شرڪ ۽ ڪفر کان ٻچي پرهيزگاري سان توهان تي رحم ڪيو وڃي. فَكَذَّبُوْهُ فَأَنْجَيْنٰهُ وَالَّذِيْنَ مَعَهٗ فِى الْفُلْكِ مگر ان هدايت ڪرڻ کان ٻي ڪري حضرت نوح (نعوذ بالله) ان کي، بدستور انهن انڪار ڪيو. پوءِ بچايو اسان حضرت نوح کي ۽ انهن کي جي ساڻس ٻيڙي ۾ هئا نجات طوفان جي عذاب کان. وَأَغْرَقْنَا الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا إِنَّهُمْ كَانُوْا قَوْمًا عَمِيْنَ ٻيو ٻوڙيو اسان طوفان جي عذاب ۾ انهن ماڻهن کي جن اسان جي آيتن کي ڪوڙو ڪيو. بيشڪ اهي هئا انڌا ماڻهو جماعت جن نه خدا جي وحدانيت جي نشانين کي ڏٺو. وَإِلٰى عَادٍ أَخَاهُمْ هُوْدًا ٻيو موڪليوسين قوم عاد ڏانهن حضرت هود عليه السلام پيغمبر. جو انهن جو برادري يا وطني ڀاءُ هو. قَالَ يٰقَوْمِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ إِلٰهٍ غَيْرُهٗ أَفَلَا تَتَّقُوْنَ تنهن فرمايو ته اي منهنجي قوم عبادت ڪريو صرف معبود برحق جي ڇو ته توهان کي ڪانهه معبود ان

قَالَ الْمَلَاُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ قَوْمِهٖۤ اِنَّا لَنَرٰىكَ فِيْ سَفَاهَةٍ وَّاِنَّا لَنَظُنُّكَ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ ﴿٦٦﴾ قَالَ يٰقَوْمِ لَيْسَ بِيْ سَفَاهَةٌ وَّلٰكِنِّيْ رَسُوْلٌ مِّنْ رَّبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٦٧﴾ اُبَلِّغُكُمْ رِسٰلٰتِ رَبِّيْ وَاَنَا لَكُمْ نَاصِحٌ اَمِيْنٌ ﴿٦٨﴾ اَوَعَجِبْتُمْ اَنْ جَآءَكُمْ ذِكْرٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ عَلٰى رَجُلٍ مِّنْكُمْ لِيُنْذِرَكُمْ ؕ وَاذْكُرُوْۤا اِذْ جَعَلَكُمْ خُلَفَآءَ مِنْۢ بَعْدِ قَوْمِ نُوْحٍ وَّزَادَكُمْ

وراى. بُت پرستی تراوو۔ کیا یُتھ جرم عظیم شرک اَنتھ چھوٕ ناتہٕ کھوژان خدایہ سندِس عذابس قَالَ الْمَلَاُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ قَوْمِهٖۤ اِنَّا لَنَرٰىكَ فِيْ سَفَاهَةٍ وَّاِنَّا لَنَظُنُّكَ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ قومہ کیو ژھیو دُوپُھکھ جواب اَسہِ چھوٕ بُوزنہ یوان تہٕ کم عقل۔ تہٕ چھوٕ اَسہِ توحیدٕچ تعلیم کران۔ توحید پیٚچھہٕ ناوان تہٕ عذابس کھوژہ ناوان۔ بیہ چھہِ اَسِ زانان تہٕ چھوٕ اپزٕ تہٕ خلافِ واضح کتھ ونہ ونیو اندرہ۔ یعنی (نعوذ باللہ) نہ چھو توحیدُک مسٔلہ صحیح نہ چھو خدایہ سندہ طرفہ عذابُک نازل سپدن صحیح قَالَ يٰقَوْمِ لَيْسَ بِيْ سَفَاهَةٌ تمو فرموو ہٚکھ اَی قوم میانہ عقلہِ منز کُنہِ قسمہ کمی چھنہ وَّلٰكِنِّيْ رَسُوْلٌ مِّنْ رَّبِّ الْعٰلَمِيْنَ لیکن بُہ چھُس پیغمبر توہہِ کُن پروردگارِ عالمینہ سندہ طرفہ۔ تمی چھُس بو سوزمُت توہہِ توحیدٕچ تعلیم کرنہ خیطرہ بیہ عذابُک بیم کرنہ خیطرہ بُہ چھُس پننُن فرض منصبی ادا کران اُبَلِّغُكُمْ رِسٰلٰتِ رَبِّيْ بُہ چھُس توہہِ نشہِ واتناوان پروردگارُ سند پیغامات تہٕ احکام وَاَنَا لَكُمْ نَاصِحٌ اَمِيْنٌ یتھ کتھہِ اندر چھُس بُہ تہٕند خیر خواہ، بے غرض تہٕ قابلِ اطمینان کیازِہ توحید و ایمانس اندر چھو بُوڈ فائدہ تُہندیِ خیطرہ اَوَعَجِبْتُمْ اَنْ جَآءَكُمْ ذِكْرٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ عَلٰى رَجُلٍ مِّنْكُمْ لِيُنْذِرَكُمْ کیاہ تہٕ چھوہ یہ عجایب کتھاہ زانان کہِ توہہِ نشہِ کیاواژ وعظ و نصیحت کتھا تہٕندس پروردگارہ سندہ طرفہ توہی اندرہ۔ تہٕندی جِنسہ اکِس شخصہ سندہ ذریعہ۔ یُس توہی ہُیو بشر تہٕ اِنسان چھُو۔ یُتھ سُو شخص توہہِ وارہ پاٹھہِ خدایہ سندہ عذابہ نشہِ بیم کرہِ۔ یہ چھنہ کنہی تعجب کتھ نبوتس تہٕ بشریتس چھاپانہ وانِ کنہہ اِختلافاہ وَاذْكُرُوْۤا

فِي الْخَلْقِ بَصْطَةً ۚ فَاذْكُرُوْٓا اٰلَآءَ اللّٰهِ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ ﴿٦٩﴾
قَالُوْٓا اَجِئْتَنَا لِنَعْبُدَ اللّٰهَ وَحْدَهٗ وَنَذَرَ مَا كَانَ يَعْبُدُ
اٰبَآؤُنَا ۚ فَاْتِنَا بِمَا تَعِدُنَآ اِنْ كُنْتَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ ﴿٧٠﴾
قَالَ قَدْ وَقَعَ عَلَيْكُمْ مِّنْ رَّبِّكُمْ رِجْسٌ وَّغَضَبٌ ؕ
اَتُجَادِلُوْنَنِيْ فِيْٓ اَسْمَآءٍ سَمَّيْتُمُوْهَآ اَنْتُمْ وَاٰبَآؤُكُمْ مَّا
نَزَّلَ اللّٰهُ بِهَا مِنْ سُلْطٰنٍ ؕ فَانْتَظِرُوْٓا اِنِّيْ مَعَكُمْ مِّنَ

---

اِذْ جَعَلَكُمْ خُلَفَآءَ مِنْۢ بَعْدِ قَوْمِ نُوْحٍ اِی میانہِ قومہ بیہ پاوِ توتہہ ڙيتس کہ اللہ تعالیٰ اَن کُس احسان کور توہہِ نسبت تہہ کرنوہ زِڈہ زمیٔس اَندر قومِ نوحہ پتہ وَّزَادَكُمْ فِي الْخَلْقِ بَصْطَةً بیہِ گُور نوہ تُہہ جسمہ کسِ ڈول ڈالس اَندر برتر۔ قوتُ تہ طاقت گُور نوہ عطا فَاذْكُرُوْٓا اٰلَآءَ اللّٰهِ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ پَس ڙيتس پاوِ و خدایہِ سنزہ نعمژ تمسنزہ نعمژ ڙيتس پاوِتھ کرِو تہنز فرمانبرداری۔ ڍیوہ تُہہ رستگار تہ کامیاب سپدِو قَالُوْٓا اَجِئْتَنَا لِنَعْبُدَ اللّٰهَ وَحْدَهٗ وَنَذَرَ مَا كَانَ يَعْبُدُ اٰبَآؤُنَا دپنہِ لگِ تمِ واہ کیاہ تُہہ آوہ اَسہِ نشہِ یمہِ کتھہِ خیطرہ کہِ اَس کیاگرِو کُنسی خدایَس عبادت۔ باقی یمن پُو تیلن ہنز عبادت سانِ مالِ بُڈبب کران آسِ تمِ کیاتراووکھ اَس۔ اسِ تہ گرونہ کینہہ فَاْتِنَا بِمَا تَعِدُنَآ اِنْ كُنْتَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ پَس سانسِ نہ مانِس پیٹھہ یمہِ عذابُک تہہ اَسہِ بیم کران چھوِ سُو عذاب واتناوِ واَسہِ نشہِ۔ ہرگاہ تُہہ پُوزونہ ونِ چھوِہ قَالَ قَدْ وَقَعَ عَلَيْكُمْ مِّنْ رَّبِّكُمْ رِجْسٌ وَّغَضَبٌ حضرتِ ہُودن فرموڈکھ تہنزہ سرکشی ہنزیلہِ یہِ حالت چھہ۔ بتحقیق ووِن سپُد توہہِ پیٹھہ تہندس پروردِگارہ سندہِ طرفہ عذاب نازِل بیہِ بیزاری اَتُجَادِلُوْنَنِيْ فِيْٓ اَسْمَآءٍ سَمَّيْتُمُوْهَآ اَنْتُمْ وَاٰبَآؤُكُمْ مَّا نَزَّلَ اللّٰهُ بِهَا مِنْ سُلْطٰنٍ کیاہ تُہہِ چھوِہ مہ سیت ہَر تہ قصنیہ لاگان۔ کینژن پُو تلین ہندین ناوَن پیٹھہ یمِ ناوَ بے حقیقت چھہِ پانے توہہِ یا تُہندیو مالیو بُڈببو ٹھہراوِمتِ چھہِ۔ لیکن اللہ تعالیٰ اَن چھنہ کانہہ دَلیلاہ تہندہ معبود آسنچ نازِل کرمژ۔ توہہِ نشہِ نہ چھہ پننہِ دعویٰ اچ دَلیل۔ نہ چھُو توہہِ نشہِ میانہِ دَلیلہِ ہُند جواب۔ پَس ہَر تہ قضیہ لاگُنگ کیاہ

الْمُنْتَظِرِيْنَ ﴿۷۱﴾ فَاَنْجَيْنٰهُ وَالَّذِيْنَ مَعَهٗ بِرَحْمَةٍ مِّنَّا وَقَطَعْنَا دَابِرَ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَمَا كَانُوْا مُؤْمِنِيْنَ ﴿۷۲﴾ ع وَاِلٰى ثَمُوْدَ اَخَاهُمْ صٰلِحًا ۘ قَالَ يٰقَوْمِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ ؕ قَدْ جَآءَتْكُمْ بَيِّنَةٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ ؕ هٰذِهٖ نَاقَةُ اللّٰهِ لَكُمْ اٰيَةً فَذَرُوْهَا تَاْكُلْ فِيْٓ

---

فائده پڇو. لهذا کروهر ته قضيه ختم فَانْتَظِرُوْٓا اِنِّيْ مَعَكُمْ مِّنَ الْمُنْتَظِرِيْنَ وَنِ پيا رِ وِتهه عذابس. بُو ته پُڇوس توهی سيت پياره ونيو اندره. پس سُوز الله تعالیٰ ان تمن پيٹھ تيز واو تم تم سارِی گال فَاَنْجَيْنٰهُ وَالَّذِيْنَ مَعَهٗ بِرَحْمَةٍ مِّنَّا پس دِيُت اسهِ نجات حضرتِ هُودس عليهِ السلام بيه تمن تمِ تِس سيت آسِ باايمانو اندره پننهِ رحمته سيت وَقَطَعْنَا دَابِرَ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَمَا كَانُوْا مُؤْمِنِيْنَ بيه ژِٹ اسهِ مُول تمن لوگن هندِ يمو اپز زانِ سان آيات بيه آسنهِ تمِ بوجه سخت قساوت قلبی ايمان انه ونيو اندره. هلاک ته نے گڑهه هَن توتهِ انه هَن نه ايمان. للذا کر اسهِ تمِ بمقتضائے حکمت تباه و بَرباد وَاِلٰى ثَمُوْدَ اَخَاهُمْ صٰلِحًا قَالَ يٰقَوْمِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ بيهِ سُوز اسهِ قوم ثمودس کُن تهندُ بوی حضرتِ صالح عليهِ السلام پيغمبر، تمِو فرموو تمن اے قوم عبادت کرو فقط الله تعالیٰ سنز تِس ورای ڇھوه نه توههِ کانهه اکهاه معبود آسِس قابلِ ته سزاوار. تمِو کور حضرت صالحس اکه خاص مُعجزک درخواست. دُوپکه يمه خاص پله منزه گڑهه اکه والِ دِنِ وَونٹين نيرن. چنانچه حضرتِ صالحه سُنده دُعا سيت سُپد تهو ند درخواست منظور. سُو پَل پهوٹ. تمهِ منزه درايه اکه ڇهِ دار دُو نٹياه قَدْ جَآءَتْكُمْ بَيِّنَةٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ هٰذِهٖ نَاقَةُ اللّٰهِ لَكُمْ اٰيَةً يه کياه ڇهه يهِ دُونٹِن خدايهِ سنز. يُوسه امهِ پله منزه درايهِ تُهنزه خواهشهِ موجب. يه آيهِ تهندِ خيطره اکه بڈ دليلاه بناوِ تهِ ظاهر کرنه. امی آس ناوَ تهاونه نَاقَةُ اللّٰهِ خدايهِ سنز دونٹِن کيازِه يهِ ڇهه تهنزِه قدرتچ بڈ دليل ميانه پيغمبر آسنچ ته ڇهه يه بڈ دليل لهذا اڇھ توههِ پيٹھ امسندِ حقوق مٹه فَذَرُوْهَا تَاْكُلْ فِيْٓ اَرْضِ اللّٰهِ وَلَا تَمَسُّوْهَا بِسُوْٓءٍ

أَرْضِ اللّٰهِ وَلَا تَمَسُّوهَا بِسُوٓءٍ فَيَأْخُذَكُمْ عَذَابٌ أَلِيمٌ ﴿٧٣﴾
وَاذْكُرُوٓا إِذْ جَعَلَكُمْ خُلَفَآءَ مِنۢ بَعْدِ عَادٍ وَبَوَّأَكُمْ
فِى الْأَرْضِ تَتَّخِذُونَ مِنْ سُهُولِهَا قُصُورًا وَتَنْحِتُونَ
الْجِبَالَ بُيُوتًا ۖ فَاذْكُرُوٓا ءَالَآءَ اللّٰهِ وَلَا تَعْثَوْا فِى الْأَرْضِ
مُفْسِدِينَ ﴿٧٤﴾ قَالَ الْمَلَأُ الَّذِينَ اسْتَكْبَرُوا مِنْ قَوْمِهِۦ
لِلَّذِينَ اسْتُضْعِفُوا لِمَنْ ءَامَنَ مِنْهُمْ أَتَعْلَمُونَ أَنَّ صٰلِحًا

---

پس تراویون یہ، یتھہ یہ اڈرہ یور پھیر تھ کیھیہ گھاسہ تہ پھل خدایہ سندس زمینس پیٹھہ۔ تتھے پاٹھہ چییہ پنہ
وارِہندہ ڈوہہ تریش، خبر دار یتھنہ اَمس اَتھہ لاگوِ کانہہ تکلیف واتناونہ خیطرہ فَيَأْخُذَكُمْ عَذَابٌ أَلِيمٌ
تلہ رٹہِ توہہِ خدایہِ سُند کُڈر عذاب ہر گاہ تہہ اَمس کھینس چینس منز مزاحمت کرویا تکلیف واتناوِو وَاذْكُرُوٓا
إِذْ جَعَلَكُمْ خُلَفَآءَ مِنۢ بَعْدِ عَادٍ بیہِ یاوِو تہہ ژیتس سُو وقت یمہِ وقتہ اللہ تعالیٰ ان توہہِ زمینس پیٹھہ
بسہ نک خلیفہ بناوِ نوہ قوم عادس پتہ۔ وَبَوَّأَكُمْ فِى الْأَرْضِ تَتَّخِذُونَ مِنْ سُهُولِهَا قُصُورًا بیہ
کِر نوہ تہہ آباد زمین پیٹھ یمہِ طریقہ کہ تہہ چھوہ بناوان پاتھلس، میدانی زمینس پیٹھ مجہ مجہ لرہ تہ مند
ڈرہ۔ تمن منز چھوہ بسان رِیتہ کالس وَتَنْحِتُونَ الْجِبَالَ بُيُوتًا بیہِ چھوہ کوہن پیٹھ تہِ گورِ گور گرہ تہ
کُٹھہِ بناوان تمن منز چھوہ روزان وندس فَاذْكُرُوٓا ءَالَآءَ اللّٰهِ پس ژیتس یاوِو خدایہ سنزہ نعمژ وَلَا
تَعْثَوْا فِى الْأَرْضِ مُفْسِدِينَ شرکہ تہ کفرہ سیت مہ آسِو برباد ی کرہ ون زمینس اندر قَالَ الْمَلَأُ الَّذِينَ
اسْتَكْبَرُوا مِنْ قَوْمِهِۦ دپنہ لگِ زِٹھہِ زِٹھہِ لوکھ تہندِہ قومہ اندرہ یمو تکبر گور ایمان اننہ نشہِ
لِلَّذِينَ اسْتُضْعِفُوا لِمَنْ ءَامَنَ مِنْهُمْ تمن لوکن یمو تمو منزہ غریب تہ کمزورِ آستھہ ایمان اوس
اونمت أَتَعْلَمُونَ أَنَّ صٰلِحًا مُّرْسَلٌ کیا تہہ چھوہ یقین کران تہ زانان کہ حضرتِ صالح چھو پیغمبر مِّن
رَّبِّهِۦ پنہ نِس خدایہ سندہ طرفہ قَالُوٓا إِنَّا بِمَآ أُرْسِلَ بِهِۦ مُؤْمِنُونَ تمو دوپھ وقعی اسِ چھہ تتھ سارسی
یہ ہیتھ تمِ سوزنہ آی پورہ پژھ کرہ ون قَالَ الَّذِينَ اسْتَكْبَرُوٓا إِنَّا بِالَّذِىٓ ءَامَنتُم

مُّرْسَلٌ مِّنْ رَّبِّهٖ ؕ قَالُوْٓا اِنَّا بِمَآ اُرْسِلَ بِهٖ مُؤْمِنُوْنَ ﴿٧٥﴾
قَالَ الَّذِيْنَ اسْتَكْبَرُوْٓا اِنَّا بِالَّذِيْٓ اٰمَنْتُمْ بِهٖ
كٰفِرُوْنَ ﴿٧٦﴾ فَعَقَرُوا النَّاقَةَ وَعَتَوْا عَنْ اَمْرِ رَبِّهِمْ وَ
قَالُوْا يٰصٰلِحُ ائْتِنَا بِمَا تَعِدُنَآ اِنْ كُنْتَ مِنَ
الْمُرْسَلِيْنَ ﴿٧٧﴾ فَاَخَذَتْهُمُ الرَّجْفَةُ فَاَصْبَحُوْا فِيْ دَارِهِمْ
جٰثِمِيْنَ ﴿٧٨﴾ فَتَوَلّٰى عَنْهُمْ وَقَالَ يٰقَوْمِ لَقَدْ اَبْلَغْتُكُمْ

---

بِهٖ كٰفِرُوْنَ تمو مُتکبر ودڈ پہکھ اَسِ پچھہ اِنکار کران تتھہ یتھہ توہہ پڑھ کروہ۔ غرض تمونہ کر پڑھ حضرتِ صالحس نہ کرکھ وونٹنہ ہندِ حُقوق پورہ فَعَقَرُوا النَّاقَةَ چنانچہ سُوودنٹنِ مار تموزنگہ ژٹتھ وَعَتَوْا عَنْ اَمْرِ رَبِّهِمْ بیہ کرکھ سرکشی پنہ نِس پروردگارہ سُند حُکمماننہ نشہِ وَقَالُوْا يٰصٰلِحُ ائْتِنَا بِمَا تَعِدُنَآ اِنْ كُنْتَ مِنَ الْمُرْسَلِيْنَ توپتہ لگِ بکمالِ بے باکی تہ بے پروائی دپنہ ای صالحِ اناوِ واسہِ نِش سُو عذاب یمیک تہہ اَسہِ بیم کران آسِوہ، یتھہ اسہِ کھوژہ ناوان آسِوہ چھوے تہہ پزپاٹِ پیغمبرَ وَاندرہ فَاَخَذَتْهُمُ الرَّجْفَةُ فَاَصْبَحُوْا فِيْ دَارِهِمْ جٰثِمِيْنَ پَس رٹِ تمِ سخت بُنلِ۔ بیئِس آیہ کرِ تمس منز چھو فَاَخَذَتْهُمُ الصَّيْحَةُ تمِ رٹِ سخت کریکہِ۔ لہذا اسپِد تمن دُوشوے۔ آسمانکہِ طرفہ گیکھ سخت کریکھ زبردست کریکہ پتہ آکھ بونُیل۔ پَس پے تمِ بُتھہ کُن وستھ پنہ نین گرن اَندر زمینس پیٹھ (پھر یتھ گرِہتہ مُود) فَتَوَلّٰى عَنْهُمْ وَقَالَ يٰقَوْمِ لَقَدْ اَبْلَغْتُكُمْ رِسَالَةَ رَبِّيْ وَنَصَحْتُ لَكُمْ وَلٰكِنْ لَّا تُحِبُّوْنَ النّٰصِحِيْنَ یلہِ قوم ثمود عذابہ سیت تباہ گو۔ حضرتِ صالح دراوَ تمنِ نشہِ توپتہ فرمووُکھ ای میانہِ قومہ بتحقیق مہِ واتناوِوہ توہہِ نشہِ پنہ نِس پروردِگارہ سندِ پیغام یتھہ پیٹھہ عمل کرنہ سیت توہہِ بڈ کامیابی سپدِہا۔ بیہِ کرے یہِ میہ توہہِ نصیحت تہ خیر خواہی گمہِ گمہِ طریقہ تاریوموہ توہہِ فکرہ، لیکن افسوس کہ تہہ آسِوہ نہ پنہ نین خیر خواہن تہ نصیحت کرہ وَنین پسندی کران۔ وعظ تہ نصیحت بُوزُن اوس توہہِ کھران۔ لہذا ایلہِ توہہ مُیون بُوزوہ نہ، میانین نصیحتن پیٹھ عمل کروہ نہ توَے گوہ

رِسَالَةَ رَبِّيْ وَنَصَحْتُ لَكُمْ وَلٰكِنْ لَّا تُحِبُّوْنَ النّٰصِحِيْنَ ﴿٧٩﴾ وَلُوْطًا اِذْ قَالَ لِقَوْمِهٖٓ اَتَاْتُوْنَ الْفَاحِشَةَ مَا سَبَقَكُمْ بِهَا مِنْ اَحَدٍ مِّنَ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٨٠﴾ اِنَّكُمْ لَتَاْتُوْنَ الرِّجَالَ شَهْوَةً مِّنْ دُوْنِ النِّسَآءِ ؕ بَلْ اَنْتُمْ قَوْمٌ مُّسْرِفُوْنَ ﴿٨١﴾ وَمَا كَانَ جَوَابَ قَوْمِهٖٓ اِلَّآ اَنْ قَالُوْٓا اَخْرِجُوْهُمْ مِّنْ قَرْيَتِكُمْ ۚ اِنَّهُمْ اُنَاسٌ يَّتَطَهَّرُوْنَ ﴿٨٢﴾ فَاَنْجَيْنٰهُ

---

عذابس گرفتار۔ یہِ فرموٚوَ تِمن حضرتِ صالحن تِہندِ ہلاک گژھنہ پتہٕ۔ تِم زِندہ تصور کرتھ بطوٗر تاسُف یتھہ پاٹھِ سانِ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم فرموو بدرہ کین کافرن ہلاک گژھتھ۔ اَمہِ اَندرہ اَوس عرض بَنِ لوکن یعنی پتہٕ اِوہ وَنَن یہِ کتھ واتناوِن کہِ لوکن پزِہ مُخلص خیر خواہَن ہنز کتھ ضرور مانٕن۔ تِم لوکھ پنہٕ نِس مُعتبر خیر خواہہ سنز نصیحت مانان آسَن نہ تِمن سیتِ تہٕ سپدِہ سُوی مُعاملہ یُس قوم ثمودس سیتِ سپُد۔ (العیاذ باللہ یاالٰہی نجات) وَلُوْطًا بیہِ سُوزاسہِ حضرتِ لوط کینژن بستَین ہُنٛ پیغمبر اِذْ قَالَ لِقَوْمِهٖٓ یلہِ تِموٚ فرموٚوَ پنہٕ نِس قوَمَس یعنی اُمتَس اَتَاْتُوْنَ الْفَاحِشَةَ کیاہ تُہہ چھوِہ سُو تِچھہ کوم کران مَا سَبَقَكُمْ بِهَا مِنْ اَحَدٍ مِّنَ الْعٰلَمِيْنَ یوسہ نہ توہہِ برونٹھ کرمژ چھَہ کانسہِ اکِ شخصن عالمَنو اَندرہ اِنَّكُمْ لَتَاْتُوْنَ الرِّجَالَ شَهْوَةً مِّنْ دُوْنِ النِّسَآءِ پزِپاٹھِ تُہہ چھوِہ پنٕنِ شہوت تہٕ خواہش پورہ کرنہ خیطرِہ زنانہ تراوِت مَردن نشِہ یوان یہَے چھَہ سو تِچھہ کوم یوسہٕ نہ توہہِ برونٹھ کانسہِ کرمژ چھَہِ۔ یہِ تِچھ کُوم کرنَس اَندر چھُونہ توہہِ کُنہِ قسمُک دھُوکہ بَلْ اَنْتُمْ قَوْمٌ مُّسْرِفُوْنَ بلکہِ چھوِہ تُہہ اَتھ اندر اِنسانیتہ کہِ حدِہ نشِہ سیٹھاہ ڈلہ وِنِ وَمَا كَانَ جَوَابَ قَوْمِهٖٓ اِلَّآ اَنْ قَالُوْٓا اَخْرِجُوْهُمْ مِّنْ قَرْيَتِكُمْ اِنَّهُمْ اُنَاسٌ يَّتَطَهَّرُوْنَ تُہند قومن ووٚن نہِ تِمنِ اَتھ کتھِ کانہہ معقول جواباہ۔ مگر پانہٕ وانِ لگِ وَننہِ تِم (یعنی حضرتِ لوط تہٕ بیہِ تِہنز جماعت) کڈیو کھ پنہٕ شہرہ منزہ تِم لوکھ چھ سیٹھاہ شوٗنتِ تِم چھِہ پاک وصاف روزُن یژھان۔ اَسہِ چھِہ تِم زانان گندہ لوکھ۔ لہٰذا صاف وپاک لوکن گژھہ پزِہ گندہ تہٕ ناصاف

وَأَهْلَهُۥٓ إِلَّا ٱمْرَأَتَهُۥ كَانَتْ مِنَ ٱلْغَٰبِرِينَ ﴿٨٣﴾ وَأَمْطَرْنَا عَلَيْهِم مَّطَرًا ۖ فَٱنظُرْ كَيْفَ كَانَ عَٰقِبَةُ ٱلْمُجْرِمِينَ ﴿٨٤﴾ وَإِلَىٰ مَدْيَنَ أَخَاهُمْ شُعَيْبًا ۗ قَالَ يَٰقَوْمِ ٱعْبُدُوا۟ ٱللَّهَ مَا لَكُم مِّنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُۥ ۖ قَدْ جَآءَتْكُم بَيِّنَةٌ مِّن رَّبِّكُمْ ۖ فَأَوْفُوا۟ ٱلْكَيْلَ وَٱلْمِيزَانَ وَلَا تَبْخَسُوا۟ ٱلنَّاسَ أَشْيَآءَهُمْ وَلَا تُفْسِدُوا۟ فِى ٱلْأَرْضِ بَعْدَ إِصْلَٰحِهَا ۚ

---

لوکن سیت روزُن۔ یہ آسِ وَنان تم کُھٹھ پاٹھِ تہٕ ٹسنہ پاٹھِ اوت پیٹھ یلہِ واٹھ نُوبت اَسہِ کور نازِل اَتھ قومَس پیٹھ عذاب فَأَنجَيْنَٰهُ وَأَهْلَهُۥٓ إِلَّا ٱمْرَأَتَهُۥ كَانَتْ مِنَ ٱلْغَٰبِرِينَ پَس دِیُت اَسہِ نجات تمہِ عذابہ نشہِ حضرت لُوطس بیہِ تہندین مُتعلقن، اہل و عیالس بیہ باایمانَن مگر نہ تہنزہ آشنہِ سُو رُوز ایمان نہ اَننہ موکھ تتھ قومَس سیت تمِن پیٹھ عذاب نازِل سپُد وَأَمْطَرْنَا عَلَيْهِم مَّطَرًا فَٱنظُرْ كَيْفَ كَانَ عَٰقِبَةُ ٱلْمُجْرِمِينَ اَسہِ ترِوو تمِن پیٹھ بدٕلے قسمُک رُوداہ۔ یعنی کنہِ تراویکھ رُودِک پاٹھہِ پَس وُچھ ژہ اَمی وُچھہِ ونہِ کہ کیاہ سپُد اَنجام تمِن نافرمانن ہُند۔ گر غورہ سان وُچھکھ تعجب کرکھ بیہ ترِی فِکرہِ وارہ کہِ خدایہ سنزہِ نافرمانی ہُند انجام کیاہ چھو آسان وَإِلَىٰ مَدْيَنَ أَخَاهُمْ شُعَيْبًا قَالَ يَٰقَوْمِ ٱعْبُدُوا۟ ٱللَّهَ مَا لَكُم مِّنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُۥ بیہ سُوز اَسہِ شہرِ مدین کین لُوکن کُن تہُند بُوی حضرتِ شعیب پیغمبر۔ تموِ فرموو پنہ نِس قومَس اَمی میانہِ قومہ عبادت کرِو تہُہ فقط معبُود برحقہ سنز، کیازِہ چھُونہ توہہِ کانہہ معبُود اَتَس وراۓ قَدْ جَآءَتْكُم بَيِّنَةٌ مِّن رَّبِّكُمْ تحقیق واٹھ توہہِ نشہِ ژن دلیل میانِس پیغمبر آسنس پیٹھ تہُندِس پروردِگارہ سُندِہ طرفہ۔ لہٰذا مانِو احکام شرعین منز میانِ کتھ تہٕ میُون وَنُن فَأَوْفُوا۟ ٱلْكَيْلَ وَٱلْمِيزَانَ بُوچھسوہ وَنان کہِ تہُہ آسِو پوٗر پوٗر مینان تہٕ پوٗر پوٗر توُلان وَلَا تَبْخَسُوا۟ ٱلنَّاسَ أَشْيَآءَهُمْ بیہِ مہٕ آسِو لوکن ہندین چیزن اَندر نقصان تہٕ کمی کران، چھونہِ راوان۔ یتھہ پاٹھہِ توہہِ عادت چھوہ وَلَا تُفْسِدُوا۟ فِى ٱلْأَرْضِ بَعْدَ إِصْلَٰحِهَا بیہِ مہٕ کروز مینس اَندر شرِ کہ تہٕ کُفرہ سیت، بیہ لُوکن

ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ إِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ﴿٨٥﴾ وَلَا تَقْعُدُوْا بِكُلِّ صِرَاطٍ تُوْعِدُوْنَ وَتَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ مَنْ اٰمَنَ بِهٖ وَتَبْغُوْنَهَا عِوَجًا ۚ وَاذْكُرُوْٓا إِذْ كُنْتُمْ قَلِيْلًا فَكَثَّرَكُمْ ۠ وَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُفْسِدِيْنَ ﴿٨٦﴾ وَإِنْ كَانَ طَآئِفَةٌ مِّنْكُمْ اٰمَنُوْا بِالَّذِيْٓ أُرْسِلْتُ بِهٖ وَطَآئِفَةٌ لَّمْ يُؤْمِنُوْا فَاصْبِرُوْا

---

چھون تہ ناقِص کنہ سیت تباہی تہ بربادی۔ اَتھ زمینَس اَندر حضراتِ انبیاءن ہندِ ہِ واسطہ توحیدہ سیت، حقوق العبادن اندر۔ تۄلنس تہ مینَنس منز۔ عدل و انصاف کرنہ سیت اصلاح درستی سَپدنہ پتہ ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ إِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ یہِ بوونان چھُسوہ یہ چھُو تہُندِ ہ خیطرہ سیٹھاہ جان تہ بہتر دُنیاءس اندرتہِ تہ آخرتَس اندرتہ۔ ہرگاہ تُہہِ میانِس وَنہ نِس پڑھ کروتہ تمہِ موجُب عمل کرو۔ وَلَا تَقْعُدُوْا بِكُلِّ صِرَاطٍ تُوْعِدُوْنَ وَتَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ مَنْ اٰمَنَ بِهٖ وَتَبْغُوْنَهَا عِوَجًا بیہِ مَہ آسِو وَتن تہ سڑگن پیٹھہ بہان لوکن خوف دِہی کرنہ خیطرہ۔ بیہِ تمِ خدائیس پڑھ کرہ ون چھہِ تمِ تہنزِ ہ وَتہِ نشہِ پتھہ رٹنہ خیطرہ۔ بیہِ خدایہِ سنزِ ہ وَتہِ اَندرکُنہِ نتہ کُنہِ طریقہ، ہجَر، خرابی تہ شگ وشُبہ پیدہ کرہ نہ خیطرہ وَاذْكُرُوْٓا إِذْ كُنْتُمْ قَلِيْلًا فَكَثَّرَكُمْ بیہِ یاوِو تُہہِ ژیتَس پُنن حال یلہِ تُہہِ تعدادَس یا مال و دَولتَس منز کم آسِوہ۔ پَس کروہ خُدا اَمِن مہربانی تُہندِ س تعدادس اَندر یا مال و دولتَس اَندر کرنوہ زیادتی وَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُفْسِدِيْنَ بیہِ وُچھتو مُفسِدن یِمو کُفر و نافرمانی سیت تباہی کر تہُند انجام کیاہ سپُد پتو لاکہ یِمو خدائیس تہ تہِندِ ین پیغمبرن اِنکار کور توہہِ برونٹھ۔ قوم نُوح قوم عاد و ثمود وغیرہ تمِ کتھہ پاٹھہ چھہِ اللہ تعالیٰ اَن گالمتِ تہ تباہ کرمتِ۔ تِتھَے پاٹھِ چھُو اَندیشہِ کہ توہہِ پیٹھ تہِ ماسپدِ ہ خدایہِ سندِ ہ طرفہ عذاب نازِل وَإِنْ كَانَ طَآئِفَةٌ مِّنْكُمْ اٰمَنُوْا بِالَّذِيْٓ أُرْسِلْتُ بِهٖ وَطَآئِفَةٌ لَّمْ يُؤْمِنُوْا وَنِ ہرگاہ توہہِ زہ جماژگژھن۔ اکھ جماعت انہِ ایمان تتھ یہِ بُو ہیتھ آس بیاکھ جماعت

حَتّٰى يَحْكُمَ اللّٰهُ بَيْنَنَا ۚ وَهُوَ خَيْرُ الْحٰكِمِيْنَ ﴿۸۷﴾
قَالَ الْمَلَاُ الَّذِيْنَ اسْتَكْبَرُوْا مِنْ قَوْمِهٖ لَنُخْرِجَنَّكَ
يٰشُعَيْبُ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَكَ مِنْ قَرْيَتِنَآ اَوْ لَتَعُوْدُنَّ فِيْ مِلَّتِنَا ؕ
قَالَ اَوَلَوْ كُنَّا كٰرِهِيْنَ ﴿۸۸﴾ ۚ قَدِ افْتَرَيْنَا عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا اِنْ عُدْنَا
فِيْ مِلَّتِكُمْ بَعْدَ اِذْ نَجّٰىنَا اللّٰهُ مِنْهَا ؕ وَمَا يَكُوْنُ لَنَآ اَنْ نَّعُوْدَ فِيْهَآ
اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ اللّٰهُ رَبُّنَا ؕ وَسِعَ رَبُّنَا كُلَّ شَيْءٍ عِلْمًا ؕ عَلَى اللّٰهِ

---

کرہِ نہٕ تتھ پژھ۔ یعنی مُتفقہ طور کرونہٕ تِہٕ سارِسی تتھ پژھ یہ بُوہیتھ آس فَاصْبِرُوْا حَتّٰى يَحْكُمَ اللّٰهُ بَيْنَنَا وَهُوَ خَيْرُ الْحٰكِمِيْنَ پس ٹھہرِ ویو تانِ پانہٕ اللہ تعالیٰ اَسہِ منز فیصلہ کرِہ۔ پزیارین دِیہِ نجات اپزیارین کرِہ ہلاک تہٕ تباہ عذابہ سیت۔ سُوی چھُو رُت حُکم کرہ وُن۔ قَالَ الْمَلَاُ الَّذِيْنَ اسْتَكْبَرُوْا مِنْ قَوْمِهٖ لَنُخْرِجَنَّكَ يٰشُعَيْبُ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَكَ مِنْ قَرْيَتِنَآ اَوْ لَتَعُوْدُنَّ فِيْ مِلَّتِنَا تہِندِہ قُومہ کیوزِ ٹھیو، یمو تکبر کور ایمان اَنہ نشہِ، تمو یلہِ تہُند کلام بُوز، تمِ لگِ دپنہٕ اَی شعیب یاد تھوزِہ اَسِ کڈو تہٕ ژہٕ بیہِ یمو ژیہ پژھ کری پننہِ شہرہ اَندرہ۔ نتہٕ تِہٕ واپس بیہِ سانس دِینس کُن پھیرو قَالَ اَوَلَوْ كُنَّا كٰرِهِيْنَ حضرتِ شعیبن فرموٗ کھ کیاہ ہرگاہ اَسِ تہُندہ دِینہ نشہِ، ناخوش متنفر، تہٕ بیزار تہٕ آسو توتہٕ چھوِہ تِہٕ یژھان سون تتھ دینس کُن پھیرن۔ تہٕ ہیکہ نہ بنتھِ زانہہ کیازہ اَسہِ نشہِ چھُ پوختہ دلیل تہُند دِین باطل آسنس پیٹھ تہٕ سُون دین حق تہٕ پوٗز آسنس پیٹھ قَدِ افْتَرَيْنَا عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا اِنْ عُدْنَا فِيْ مِلَّتِكُمْ بَعْدَ اِذْ نَجّٰىنَا اللّٰهُ مِنْهَا ہرگاہ بالفرض اَسِ تہُندِس دِینس کُن پھیرَو تتھ صُورتس منز نورَو اَسِ خُدایس پیٹھ بُوڈ اپزاہ، کیازِہ باطل دِینس پوٗزونہ سیتی چھُو لازم یوان خدایس پیٹھ افتراء تہٕ اپز نووراوُن وَنِ چھنہ گژھی تتھ منز بیہِ داخِل سپُدن۔ خصوصاً یلہِ اللہ تعالیٰ ان اَسہِ تمہِ باطل دِینہ نشہِ نجات دیُت وَمَا يَكُوْنُ لَنَآ اَنْ نَّعُوْدَ فِيْهَآ اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ اللّٰهُ رَبُّنَا سان کتھ ہیکہِ نہ بنتھی تہٕ زانہہ کہِ اَسِ کیا پھیرَو تہُندِس دِینس کُن مگرے اللہ تعالیٰ ای یژھہِ وَسِعَ رَبُّنَا كُلَّ شَيْءٍ عِلْمًا واتتھ چھُو سُون پروردِگار پرتھ چیزس

تَوَكَّلْنَا ؕ رَبَّنَا افْتَحْ بَيْنَنَا وَبَيْنَ قَوْمِنَا بِالْحَقِّ وَاَنْتَ خَيْرُ الْفٰتِحِيْنَ ﴿٨٩﴾ وَقَالَ الْمَلَاُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ قَوْمِهٖ لَئِنِ اتَّبَعْتُمْ شُعَيْبًا اِنَّكُمْ اِذًا لَّخٰسِرُوْنَ ﴿٩٠﴾ فَاَخَذَتْهُمُ الرَّجْفَةُ فَاَصْبَحُوْا فِيْ دَارِهِمْ جٰثِمِيْنَ ﴿٩١﴾ ۚۖ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا شُعَيْبًا كَاَنْ لَّمْ يَغْنَوْا فِيْهَا ۛۚ اَلَّذِيْنَ كَذَّبُوْا شُعَيْبًا كَانُوْا هُمُ الْخٰسِرِيْنَ ﴿٩٢﴾ فَتَوَلّٰى عَنْهُمْ وَقَالَ يٰقَوْمِ لَقَدْ اَبْلَغْتُكُمْ رِسٰلٰتِ رَبِّيْ وَنَصَحْتُ لَكُمْ ۚ

---

علمہ سیت۔ تَس چھہ پرِیتھ چیزِچ پوٗر خبر عَلَى اللهِ تَوَكَّلْنَا خدایہ سِی پیٹھ کور اَسہِ توکُل۔ تسِ چھہِ منگان اَسِ رَبَّنَا افْتَحْ بَيْنَنَا وَبَيْنَ قَوْمِنَا بِالْحَقِّ وَاَنْتَ خَيْرُ الْفٰتِحِيْنَ اَی سانہِ پروردگارہ نیای انز راوٗ اسہِ تہٕ سانس قومس منز۔ ژٕی چھوک رُت فیصلہ کرہ وُن۔ وَقَالَ الْمَلَاُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ قَوْمِهٖ بیہِ دوٗپ تہند یوزِ ٹھیَو یمو انکار گوٗر تہندہِ قومہ اَندرہ بیَن کافرَن گُن۔ یُتھنہ تِمن حضرتِ شعیبہ سُندہ موثر تقریرہ سیت کینہہ اثر سپدِہ لَئِنِ اتَّبَعْتُمْ شُعَيْبًا اِنَّكُمْ اِذًا لَّخٰسِرُوْنَ ہرگاہ تُہہ حضرتِ شعیبن پیروی کروِ پزباٹِ تلہِ سپدِو تُہہ نقصان تُلہ وَنیو اَندرہ فَاَخَذَتْهُمُ الرَّجْفَةُ فَاَصْبَحُوْا فِيْ دَارِهِمْ جٰثِمِيْنَ پس رٹِ تِم سخت بُنلِ یمہِ سیتِ سپد تِم گرن اَندر پھرٹہ سیت بُتھِ کن وَسِ پیتھ مُردہ۔ یُس یتھُس اوس سُوگو تتھِی رُوزِ تھ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا شُعَيْبًا كَاَنْ لَّمْ يَغْنَوْا فِيْهَا یمو اَپز زانتھِ اِنکار کور حضرتِ شعیبس، زَن نہ تِم روزانی آسِ تتھ شہرس اَندر۔ تِم آسِ دیان بااِیمانَن اَسِ کڈوو یمہِ شہرہ اَندرہ۔ تِم سپدِ پانہ نابوٗد الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا شُعَيْبًا كَانُوْا هُمُ الْخٰسِرِيْنَ یمو اپز زانتھِ اِنکار کور حضرتِ شعیبس۔ تِمے آسِ تاوان زَدو اَندرہ۔ تِم آسِ وَنان بااِیمانَن تُوہہِ سپدِہ نقصان پرِیتھ رَنگہ تِمنی سپُد پانس سخت نقصان تہٕ تاوان فَتَوَلّٰى عَنْهُمْ وَقَالَ يٰقَوْمِ لَقَدْ اَبْلَغْتُكُمْ رِسٰلٰتِ رَبِّيْ وَنَصَحْتُ لَكُمْ فَكَيْفَ اٰسٰى عَلٰى قَوْمٍ كٰفِرِيْنَ پس دراوَ تِمن نشہِ حضرتِ شُعیب علیہ السلام تو پتہ فرموٗن تِمن گُن افسوس کرِتھ زن تِم زندے آس، اَی قوم بتحقیق مہِ واتناوِ تُوہہِ پنہ نِس پروردِگارہ سند پیغامات، بیہ کرمہِ تُوہہِ نصیحت، ڈوٗن کتھہ پاٹھہِ کھیمہ

فَكَيْفَ اٰسٰى عَلٰى قَوْمٍ كٰفِرِيْنَ ﴿۹۳﴾ وَمَآ اَرْسَلْنَا فِيْ قَرْيَةٍ مِّنْ نَّبِيٍّ
اِلَّآ اَخَذْنَآ اَهْلَهَا بِالْبَاْسَآءِ وَالضَّرَّآءِ لَعَلَّهُمْ يَضَّرَّعُوْنَ ﴿۹۴﴾
ثُمَّ بَدَّلْنَا مَكَانَ السَّيِّئَةِ الْحَسَنَةَ حَتّٰى عَفَوْا وَّقَالُوْا قَدْ مَسَّ
اٰبَآءَنَا الضَّرَّآءُ وَالسَّرَّآءُ فَاَخَذْنٰهُمْ بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ﴿۹۵﴾
وَلَوْ اَنَّ اَهْلَ الْقُرٰٓى اٰمَنُوْا وَاتَّقَوْا لَفَتَحْنَا عَلَيْهِمْ بَرَكٰتٍ
مِّنَ السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ وَلٰكِنْ كَذَّبُوْا فَاَخَذْنٰهُمْ بِمَا

---

بُو غَم کافر لُوکن ہندِس ہلاک گژھنس پیٹھ۔ یتھ وُڈُو کھ تیتھ لُونُکھ وَمَآ اَرْسَلْنَا فِيْ قَرْيَةٍ مِّنْ نَّبِيٍّ اِلَّآ
اَخَذْنَآ اَهْلَهَا بِالْبَاْسَآءِ وَالضَّرَّآءِ لَعَلَّهُمْ يَضَّرَّعُوْنَ بیہِ سوزِنہ اَسہِ تِمَن شہرن مُنٛز تِمِ ذِکر کرنہ آیے،
بیہ بنیوِ شہر واندرہ گُنہِ شہرس مُنٛز، کانہہ پیغمبراہ، سوزنہ آو مگر تتہِ کیو بَسن والیو یلہِ تَس پیغمبر سنٛز نافرمانی
کر، اَسہِ کرِ مُبتلا تِم تنگی تہ بیماری سیت، یتھ تِم نافرمانی نشہِ بازیتھ، عاجزی سان اَسہِ مُنٛز رجُوع تہ توُبہ
کرن، نافرمانی کرنہ نشہِ پتھہ رُوزن ثُمَّ بَدَّلْنَا مَكَانَ السَّيِّئَةِ الْحَسَنَةَ حَتّٰى عَفَوْا یلہِ تِم نافرمانی نشہِ
تیُوت کر تھ تہِ باز آی نہ تو پتہ بدلو وٛ اَسہِ تِمَن سختیِ ہنزِ جایہِ آسانی، یُوتانِ تِمَن دولت تہ صحت بیہ
اولادن منز خُوف ترقی سپز۔ تِمہٕ ذُریاتھ واریاہ نوے یہ۔ وَّقَالُوْا قَدْ مَسَّ اٰبَآءَنَا الضَّرَّآءُ وَالسَّرَّآءُ غلط فہمی
سببہ لگِ تِمہِ ساتہ وننہِ کہِ سختی تہ آسانیِ چھنہ گُنہِ نافرمانی یا فرمانبرداری ہُند نتیجہ۔ تِمِ چیز چھہِ برونٛٹھ پیٹھ
آمتِ یتھےپاٹھِ سانینِ مالین بُڈِبن تہ آس گُنہِ وَقتہ سختی آسان گُنہِ وقتہ آسانی ورنہ اسِ چھہِ نافرمانی بد ستور
کران خُوش حالی کیازہ آسہِ ہاتلہِ اَسہِ فَاَخَذْنٰهُمْ بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ پَس رٹِ اَسہِ تِم ہنگہ تہ
منگہ۔ تِمَنِ آسی نہ خَبر عذابکہِ ینٛچ اَسہِ رٹِ تِم محض تہندہِ کُفرہ تہ نافرمانی سببہ وَلَوْ اَنَّ اَهْلَ الْقُرٰٓى اٰمَنُوْا
وَاتَّقَوْا لَفَتَحْنَا عَلَيْهِمْ بَرَكٰتٍ مِّنَ السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ ورنہ ہرگاہ تِمَنِ شہرن تہ بستیَن ہندِ لُوکھ خدایس
ایمان اَنِتھ تہ پرٛھ کرتھ پیغمبرن ہنزِ مُخالفتہ نشہِ پتھ روزہ ہَن تہ پرہیزگاری ہنز وَتھ اختیار کرہ ہَن تلہِ
مُو راوہ ہوٲس تِمَن پیٹھ آسمان وزمینہ چَن برکتَن ہند دروازہ وَلٰكِنْ كَذَّبُوْا فَاَخَذْنٰهُمْ بِمَا كَانُوْا

كَانُوا يَكْسِبُونَ ﴿٩٦﴾ أَفَأَمِنَ أَهْلُ الْقُرَىٰ أَنْ يَأْتِيَهُمْ
بَأْسُنَا بَيَاتًا وَهُمْ نَائِمُونَ ﴿٩٧﴾ أَوَأَمِنَ أَهْلُ الْقُرَىٰ أَنْ
يَأْتِيَهُمْ بَأْسُنَا ضُحًى وَهُمْ يَلْعَبُونَ ﴿٩٨﴾ أَفَأَمِنُوا مَكْرَ اللَّهِ ۚ
فَلَا يَأْمَنُ مَكْرَ اللَّهِ إِلَّا الْقَوْمُ الْخَاسِرُونَ ﴿٩٩﴾ أَوَلَمْ يَهْدِ
لِلَّذِينَ يَرِثُونَ الْأَرْضَ مِنْ بَعْدِ أَهْلِهَا أَنْ لَوْ نَشَاءُ
أَصَبْنَاهُمْ بِذُنُوبِهِمْ ۚ وَنَطْبَعُ عَلَىٰ قُلُوبِهِمْ فَهُمْ لَا يَسْمَعُونَ ﴿١٠٠﴾

يَكْسِبُونَ لیکن تِمو زُون سُون پیغمبر اپز، تسنز کرکھ مُخالفت پَس رٹِ اَسہِ تِم تہنز و تِمو پَتھ عملو سببہ
أَفَأَمِنَ أَهْلُ الْقُرَىٰ أَنْ يَأْتِيَهُمْ بَأْسُنَا بَيَاتًا وَهُمْ نَائِمُونَ کیا تِمن شہرن ہندِ لُوکھ یم توہہِ اِنکار
کران تہ نعوذ باللہ اپزیور زانان چھہِ تِم چھابے فِکر تہ سوکھے تِمہِ کتھہ نشہِ کہِ تِمن کیاواتہ سُون عذاب ہنگہ
تہ منگہ راتِ منزی تِمہِ ساتہ تِم شونگتھ آسن أَوَأَمِنَ أَهْلُ الْقُرَىٰ أَنْ يَأْتِيَهُمْ بَأْسُنَا ضُحًى
وَهُمْ يَلْعَبُونَ کیا تِمنِ شہرن ہندِ لُوکھ چھابے فِکر تہ سوگھے تِمہِ کتھہِ نشہِ کہِ سُون عذاب کیا پیہ واتتھ
تِمن نشہِ کاجہِ وقتہ تِمہِ ساتہ تِم گندنس سیت آسن مشغول أَفَأَمِنُوا مَكْرَ اللَّهِ فَلَا يَأْمَنُ مَكْرَ اللَّهِ
إِلَّا الْقَوْمُ الْخَاسِرُونَ خدایہ سنزِہ آزمایشہِ نشہِ رُوزن نہ سوگھس منز مگر تِمے لُوکھ یم دۄن عالمن ہندِ
تاوان زد آسن۔ أَوَلَمْ يَهْدِ لِلَّذِينَ يَرِثُونَ الْأَرْضَ مِنْ بَعْدِ أَهْلِهَا کیا تِمو مذکورہ واقعاتو
ہاوَ ناوَ تھ تِمنِ لُوکن یِم تِمہِ زمینکِ وارِث بنمیت چھہِ اَمہ کہن برونٹھمین لُوکن ہندہ گلنہ پتہ یعنی یم
موجودہ وقتس منز اَتھ زمینس پیٹھ بسان چھ توپتہ چھہِ خداوندی اَحکامَن ہنز نافرمانی کران کہِ أَنْ
لَوْ نَشَاءُ أَصَبْنَاهُمْ بِذُنُوبِهِمْ ۚ وَنَطْبَعُ عَلَىٰ قُلُوبِهِمْ فَهُمْ لَا يَسْمَعُونَ کہِ ہرگاہ اَسِ یژھو اَسِ کرو کھ تِم تہِ
گرفتار عذابس نافرمانی کرنہ سببہ برونٹھمین نافرمان اُمتن ہندِ پاٹھہِ۔ واقعی آسِ تِم تتھہِ واقعات تِمو سیت
پزِہ ہا تِمن عبرت رٹِن تہ سبق حاصِل کرن۔ مگر اَسہِ چھہِ مُہر کرمژ تہندین دِلن پیٹھ پَس چھنہ ہیکان تِمِ
بوزِتھے پزِتھ تِلْكَ الْقُرَىٰ نَقُصُّ عَلَيْكَ مِنْ أَنْبَائِهَا تِمن مذکورہ کینژن شہرن ہندکینہہ مختصر قصہ

تِلْكَ الْقُرٰى نَقُصُّ عَلَيْكَ مِنْ اَنْۢبَآئِهَا ۚ وَلَقَدْ جَآءَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ ۚ فَمَا كَانُوْا لِيُؤْمِنُوْا بِمَا كَذَّبُوْا مِنْ قَبْلُ ؕ كَذٰلِكَ يَطْبَعُ اللّٰهُ عَلٰى قُلُوْبِ الْكٰفِرِيْنَ ﴿١٠١﴾ وَمَا وَجَدْنَا لِاَكْثَرِهِمْ مِّنْ عَهْدٍ ۚ وَاِنْ وَّجَدْنَاۤ اَكْثَرَهُمْ لَفٰسِقِيْنَ ﴿١٠٢﴾ ثُمَّ بَعَثْنَا مِنْۢ بَعْدِهِمْ مُّوْسٰى بِاٰيٰتِنَاۤ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ فَظَلَمُوْا بِهَا ۚ فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُفْسِدِيْنَ ﴿١٠٣﴾

---

چهِ اَسِ بيان كران تو ہہِ يارسُول الله وَلَقَدْ جَآءَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ تحقيق آئی تمن سارني نشهِ تهندِ پيغمبر مُعجزات ته ننهِ دليله هيت مگر تهندہ شرارچ ته ہٹ دهرمی هنز كيفيت آس كہِ فَمَا كَانُوْا لِيُؤْمِنُوْا بِمَا كَذَّبُوْا مِنْ قَبْلُ پَس اوٚن نه تموِ ايمان تته كته يتهِ تموِ انكار كورمُت اوٚس گوڈه اَمہِ برونٹھ۔ بلكه روٗدِ تتهِ اِنكارس پيٹھ بدستور كَذٰلِكَ يَطْبَعُ اللّٰهُ عَلٰى قُلُوْبِ الْكٰفِرِيْنَ تتھے پاٹھِ كيا چھُو الله تعالیٰ كافرن هندين دِلَن پیٹھ مُہر كران۔ تهند دل خيره نشه بند كران۔ تموٚ منزه بعضی لُوكھ آسِ مُصيبته كہِ وقته عهد كران هرگاه يہِ مُصيبت اَسہِ نِشهِ دُور گرٛشهِ اسِ انوِ ايمان وَمَا وَجَدْنَا لِاَكْثَرِهِمْ مِّنْ عَهْدٍ ۚ وَاِنْ وَّجَدْنَاۤ اَكْثَرَهُمْ لَفٰسِقِيْنَ مگر اَسہِ لوب نه تموٚ اندره اكثرن منز عهدُك كانهہ پاس۔ يَعنی مُصيبت دور گرٛشِهتھ آسِ تمِ بيہِ بدستُور نافرمانی كران۔ تموٚ اندره اكثر آسِ نافرمان ته فاسق ثُمَّ بَعَثْنَا مِنْۢ بَعْدِهِمْ مُّوْسٰى بِاٰيٰتِنَاۤ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ فَظَلَمُوْا بِهَا تو پته سوز اَسہِ ہُمن پيغمبرن پته۔ يِهنز ذِكر يمہِ برونٹھ سپز، حضرتِ مُوسیٰ عليه السلام پننِ آيات هيتھ فرعونس ته بيہِ تهندين وزيرن اَميرن كُن تهندِه ہدايت وتبليغه خيطره۔ پَس كور تموٚ كُفر ته اِنكار تمن آياتن فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُفْسِدِيْنَ پَس وچھِو كياه تچهِ اَنجام سپُد تمن مُفسِدن هُند وَقَالَ مُوْسٰى يٰفِرْعَوْنُ اِنِّيْ رَسُوْلٌ مِّنْ رَّبِّ الْعٰلَمِيْنَ حضرتِ مُوسیٰ اَن فرمو خدايہِ سندِه حُكمه فرعونس نِشهِ گرٛشهت۔ اَی فرعون بيشك بُہ چھُس رب العالمينه سندِه طرفه تو ہہ لُوكن كُن پيغمبر مُقرّر كرنه آمُت تُهندِه ہدايه خيطره حَقِيْقٌ عَلٰى

وَقَالَ مُوسَىٰ يَا فِرْعَوْنُ إِنِّي رَسُولٌ مِّن رَّبِّ الْعَالَمِينَ ﴿١٠٤﴾ حَقِيقٌ عَلَىٰ أَن لَّا أَقُولَ عَلَى اللَّهِ إِلَّا الْحَقَّ ۚ قَدْ جِئْتُكُم بِبَيِّنَةٍ مِّن رَّبِّكُمْ فَأَرْسِلْ مَعِيَ بَنِي إِسْرَائِيلَ ﴿١٠٥﴾ قَالَ إِن كُنتَ جِئْتَ بِآيَةٍ فَأْتِ بِهَا إِن كُنتَ مِنَ الصَّادِقِينَ ﴿١٠٦﴾ فَأَلْقَىٰ عَصَاهُ فَإِذَا هِيَ ثُعْبَانٌ مُّبِينٌ ﴿١٠٧﴾ وَنَزَعَ يَدَهُ فَإِذَا هِيَ بَيْضَاءُ لِلنَّاظِرِينَ ﴿١٠٨﴾ قَالَ الْمَلَأُ مِن قَوْمِ فِرْعَوْنَ إِنَّ هَٰذَا لَسَاحِرٌ

---

أَن لَّا أَقُولَ عَلَى اللَّهِ إِلَّا الْحَقَّ میونُ شانِ نبوّت چھوای کہ بُولاگہ نہ خدایس کُن کا نہ کتھاہ پڑہِ کتھ ورای۔ بُوچھوس نہ خالی پیغمبر آسنک دعویٰ بُوت کران۔ قَدْ جِئْتُكُم بِبَيِّنَةٍ مِّن رَّبِّكُمْ فَأَرْسِلْ مَعِيَ بَنِي إِسْرَائِيلَ بلکہِ چھوس بُو توہہِ کُن تُہندس پروردِگارہ سندہ طرفہ ننہِ دلیلہ تہ بڈ مُعجزہ ہیتھ آمُت تمِ معجزہ توہہِ بوقتِ طلب ہاوِتھہ تہِ ہیکہ۔ وونِ یلہِ بویقیناً پیغمبر چھوس یہِ کنیزِ شاہ بُو توہہِ ونووہ تہِ مانوِ۔ تتھ پیٹھ کِرو عمل۔ تموَ چیز واندرہ چھواکھہ چیز کہ آزادکرن ژہ میون قوم بنی اسرائیل غلامی نشہِ۔ تمِ تراوُکھہ تمِ نمکھ بُوپانس سیت ملک شامس کُن یُس تہُندا اصلی وطن چھو قَالَ إِن كُنتَ جِئْتَ بِآيَةٍ فَأْتِ بِهَا إِن كُنتَ مِنَ الصَّادِقِينَ فرعونَن دُپکھ ہرگاہ توہہِ نشہِ چھو کانہہ نِشانہ خدایہ سندہِ طرفہ تہُندِس پیغمبر آسنس پیٹھ، سُوکروپیش، ہرگاہ تُہہ پُوزونہ ونیواَندرہ چھوہ فَأَلْقَىٰ عَصَاهُ فَإِذَا هِيَ ثُعْبَانٌ مُّبِينٌ اَتی ترووتموپُنن عصاز مینِس پیٹھہ تتھہ بنیووہنگہ تہ منگہ اکھ بُوڈ اژدھا اکھ وارہ کارہ وَنَزَعَ يَدَهُ فَإِذَا هِيَ بَيْضَاءُ لِلنَّاظِرِينَ دوئِم مُعجزہ ہوُکھ یہ کہِ اَتھہ پُنن یُس نالہ کِن کڈھس تل تھاوِتھ اُسکھ سُوی کوڈُکھ نیبر۔ اَتی آو سُو سارنی لُوکن تمِ ژِھان آس، نیِہ نیِہ کرہ ڈن بُو زنہ قَالَ الْمَلَأُ مِن قَوْمِ فِرْعَوْنَ إِنَّ هَٰذَا لَسَاحِرٌ عَلِيمٌ فرعونہ سندہِ قومہ منزہ تمِ تہُندِ ہمنشین تہ دربارِ آسِ تمِ لگِ پانہ وانِ وننہِ کہ پزِ پاٹھِ یہِ (یعنی حضرت موسیٰ) چھو بُوڈ زانن ڈول جادُوگراہ يُرِيدُ أَن يُخْرِجَكُم مِّنْ أَرْضِكُمْ ۖ فَمَاذَا تَأْمُرُونَ یہِ چھُو واقعی یژھان پننہِ جادِکہ زورہ سیت، توہہِ تمہِ شہرہ منزہ کڈن۔ لہذا کیاہ

عَلِيْمٌ ﴿١٠٩﴾ يُّرِيْدُ اَنْ يُّخْرِجَكُمْ مِّنْ اَرْضِكُمْ ۚ فَمَاذَا تَاْمُرُوْنَ ﴿١١٠﴾
قَالُوْٓا اَرْجِهْ وَاَخَاهُ وَاَرْسِلْ فِي الْمَدَآئِنِ حٰشِرِيْنَ ﴿١١١﴾ يَاْتُوْكَ
بِكُلِّ سٰحِرٍ عَلِيْمٍ ﴿١١٢﴾ وَجَآءَ السَّحَرَةُ فِرْعَوْنَ قَالُوْٓا اِنَّ لَنَا لَاَجْرًا
اِنْ كُنَّا نَحْنُ الْغٰلِبِيْنَ ﴿١١٣﴾ قَالَ نَعَمْ وَاِنَّكُمْ لَمِنَ الْمُقَرَّبِيْنَ ﴿١١٤﴾
قَالُوْا يٰمُوْسٰٓى اِمَّآ اَنْ تُلْقِيَ وَاِمَّآ اَنْ نَّكُوْنَ نَحْنُ الْمُلْقِيْنَ ﴿١١٥﴾
قَالَ اَلْقُوْا ۚ فَلَمَّآ اَلْقَوْا سَحَرُوْٓا اَعْيُنَ النَّاسِ وَاسْتَرْهَبُوْهُمْ

---

چھُو تھُند مشورہ قَالُوْٓا دپنہٖ لگ تمِ فرعونہ سندِ زِٹھہِ ہمنشین فرعونس اَرْجِهْ وَاَخَاهُ وَاَرْسِلْ فِي الْمَدَآئِنِ حٰشِرِيْنَ ای فرعون ژٕ دِ کینہہ کالاہ مُہلت حضرتِ موسیٰ اَس بیہِ تھندِس بایس حضرت ہارونس، تیتس کالس سوزُکھ ژٕ مختلف شہرَن مُلازِم پنٕنِ، پریتھ طرفہ کین بڈین بڈین جادوگرن سو نبراونہٕ تہٕ جمع کرنہ خیطر يَاْتُوْكَ بِكُلِّ سٰحِرٍ عَلِيْمٍ تمِ ملازِم دِنٕ اَنِتھ ساری مملکتک ساری زانن وال جادوگر۔ چنانچہ اَتھ مشورس پیٹھ سپد اتفاق توپتہٕ آیٕ سونبراوِتھ اَنہ جادوگر۔ وَجَآءَ السَّحَرَةُ فِرْعَوْنَ توپتہٕ یلہِ یم جادوگر واتِ فرعونس نشہِ قَالُوْٓا اِنَّ لَنَا لَاَجْرًا اِنْ كُنَّا نَحْنُ الْغٰلِبِيْنَ دپنِ لگ فرعونس ہرگاہ اَسِ غالِب سپدِ تلہِ آسہِ سانہِ خیطرہ بوڈ انعاماہ قَالَ نَعَمْ وَاِنَّكُمْ لَمِنَ الْمُقَرَّبِيْنَ فرعونَن دُوپنکھ انعام گو آسٕتھی تمہِ علاوہ ییو تُہہ میانیو مقربو منزہ مُقرر کرنہ۔ توپتہٕ یلہ دوشوَتھ ساحر اکہِ طرفہ، حضرتِ موسیٰ بیہِ حضرتِ ہارُون بیہِ طرفہ میدانس اندر مُقابلہ کرنہ خیطرہ سمیای، لوک تماشہِ گیرتہٕ آی بےشُمار قَالُوْا يٰمُوْسٰٓى ساحرو دُوپ حضرتِ موسیٰ اَس ای مُوسیٰ اِمَّآ اَنْ تُلْقِيَ وَاِمَّآ اَنْ نَّكُوْنَ نَحْنُ الْمُلْقِيْنَ یاتراوِو گوڈہ پنٕن عصایا تراوَو اَسِ گوڈہ پننہِ لورہ تہٕ رزہ قَالَ اَلْقُوْا حضرت موسیٰ اَن دُوپنکھ تُہی تراوِو گوڈہ کیاہ چھُوہ تراوُن فَلَمَّآ اَلْقَوْا پَس یلہِ تموی گوڈہ تراوِہ لورِہ تہٕ رزہ پننہِ سَحَرُوْٓا اَعْيُنَ النَّاسِ وَاسْتَرْهَبُوْهُمْ سحر کور تموِ لُوکن ہنزن اَچھن تمن آیہِ تمہِ لُورہ تہٕ رَزہ بوزنہ پریتھ طرفہ سرفٕ سرف۔ تہٕ کر تموِ نظر بندی تمی سیت کھوژہ ناوِکھ لُوکھ وَجَآءُوْ بِسِحْرٍ عَظِيْمٍ بیہِ آی

وَجَآءُوْ بِسِحْرٍ عَظِيْمٍ ﴿۱۱۶﴾ وَاَوْحَيْنَآ اِلٰى مُوْسٰٓى اَنْ اَلْقِ عَصَاكَ ۚ
فَاِذَا هِىَ تَلْقَفُ مَا يَاْفِكُوْنَ ﴿۱۱۷﴾ ۚ فَوَقَعَ الْحَقُّ وَبَطَلَ مَا
كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿۱۱۸﴾ ۚ فَغُلِبُوْا هُنَالِكَ وَانْقَلَبُوْا صٰغِرِيْنَ ﴿۱۱۹﴾ ۚ وَ
اُلْقِىَ السَّحَرَةُ سٰجِدِيْنَ ﴿۱۲۰﴾ ۖ قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿۱۲۱﴾ ۙ
رَبِّ مُوْسٰى وَهٰرُوْنَ ﴿۱۲۲﴾ قَالَ فِرْعَوْنُ اٰمَنْتُمْ بِهٖ قَبْلَ اَنْ
اٰذَنَ لَكُمْ ۚ اِنَّ هٰذَا لَمَكْرٌ مَّكَرْتُمُوْهُ فِى الْمَدِيْنَةِ لِتُخْرِجُوْا مِنْهَآ
اَهْلَهَا ۚ فَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ ﴿۱۲۳﴾ لَاُقَطِّعَنَّ اَيْدِيَكُمْ وَاَرْجُلَكُمْ

---

تمِ پننہِ گمانہ بوڈ جوداہ تہ سحر اہ ہیتھ وَاَوْحَيْنَآ اِلٰى مُوْسٰٓى اَنْ اَلْقِ عَصَاكَ اَسہِ تہِ سوٗزو وحی حضرتِ موسیٰ
اَس کُن کہِ تہہ تہِ تراوِو حض پنُن عصا زمینس پیٹھ چنانچہِ یانِ تمو سو پنُن عصا پتھر ترِوو فَاِذَا هِىَ تَلْقَفُ
مَا يَاْفِكُوْنَ تانِ بنیوو تتھ بوڈ اژدہا۔ تمِ نگہ لُن ہیوت ساحرن ہُند سوٗ رُوی سحر تہ جود۔ فَوَقَعَ الْحَقُّ
وَبَطَلَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ پَس سپُد ظاہر پوز۔ بیہِ سپُد باطِل سُو سُو رُوی جودُس تمو کورمُت اوس
فَغُلِبُوْا هُنَالِكَ وَانْقَلَبُوْا صٰغِرِيْنَ پس مغلوب سپدِت ہیوت فرعونن تہِ تہندِ قومن تمہِ وقتہ واپس
ژلن ذلیل ورسوا گژھت وَاُلْقِىَ السَّحَرَةُ سٰجِدِيْنَ تراونہ آی جادوگر سجدس قَالُوْٓا تمو ہتو بڈہ بڈہ
وُن اٰمَنَّا بِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ اَسہِ کر پژھ سارنی جہانن ہندس پالن والس رَبِّ مُوْسٰى وَهٰرُوْنَ یُس
حضرتِ موسیٰ تہ حضرت ہارونہ سُندتہِ رب چھو قَالَ فِرْعَوْنُ فرعون گھوڑ خبر چھا ساری رعایا
ماکرن حضرتِ موسیٰ سُندی دِین قبول۔ سو لوگ ساحرن دپنہِ اٰمَنْتُمْ بِهٖ قَبْلَ اَنْ اٰذَنَ لَكُمْ ای
ساحرو کیاہ میانہ اجازتہ ورای اونو توہہِ ایمان حضرتِ موسیٰ اَس اِنَّ هٰذَا لَمَكْرٌ مَّكَرْتُمُوْهُ فِى الْمَدِيْنَةِ
لِتُخْرِجُوْا مِنْهَآ اَهْلَهَا فَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ پزپاٹھ یہِ چھہ اکھ چالاہ یُس تُہہ پانہ وانِ میلتھ چلاووہ

مِّنۡ خِلَافٍ ثُمَّ لَاُصَلِّبَنَّكُمۡ اَجۡمَعِيۡنَ ﴿۱۲۴﴾ قَالُوۡۤا اِنَّاۤ اِلٰى رَبِّنَا
مُنۡقَلِبُوۡنَ ﴿۱۲۵﴾ ج وَمَا تَنۡقِمُ مِنَّاۤ اِلَّاۤ اَنۡ اٰمَنَّا بِاٰيٰتِ رَبِّنَا لَمَّا
جَآءَتۡنَا ؕ رَبَّنَاۤ اَفۡرِغۡ عَلَيۡنَا صَبۡرًا وَّتَوَفَّنَا مُسۡلِمِيۡنَ ﴿۱۲۶﴾ ع وَقَالَ
الۡمَلَاُ مِنۡ قَوۡمِ فِرۡعَوۡنَ اَتَذَرُ مُوۡسٰى وَقَوۡمَهٗ لِيُفۡسِدُوۡا
فِى الۡاَرۡضِ وَيَذَرَكَ وَاٰلِهَتَكَ ؕ قَالَ سَنُقَتِّلُ اَبۡنَآءَهُمۡ
وَنَسۡتَحۡىٖ نِسَآءَهُمۡ ۚ وَاِنَّا فَوۡقَهُمۡ قٰهِرُوۡنَ ﴿۱۲۷﴾ قَالَ مُوۡسٰى

---

یتھ شہرس اَندر یُتھ امہِ شہرہ منزہ اتِک لوکھ کڈِتھ ہیکیوٚکھ۔ وونِ سپدِ توہہِ معلوم توہہِ کیاہ بنِر اووہ بوٚ لَاُقَطِّعَنَّ اَيۡدِيَكُمۡ وَاَرۡجُلَكُمۡ مِّنۡ خِلَافٍ ثُمَّ لَاُصَلِّبَنَّكُمۡ اَجۡمَعِيۡنَ بو ژٹہہ ضرور توہہ اکہ طرفک اَتھہ، بیہ طرفُک کھور۔ تو پتہ دِموو پھہِ تُہہ سارِی قَالُوۡۤا جادُوگروم باایمان آس سپدمت پورہ پاٹھ دُوپُس کانہہ پرواہ چھونہ۔ اَسِ گژھو نہ مرِتھ کُنہِ خراب جایہ اِنَّاۤ اِلٰى رَبِّنَا مُنۡقَلِبُوۡنَ بلکہِ واتو اَسِ پنہ نِس پروردِگارس نِشہِ۔ یتہِ آسہِ اَمن وراحت واتہ وَمَا تَنۡقِمُ مِنَّاۤ اِلَّاۤ اَنۡ اٰمَنَّا بِاٰيٰتِ رَبِّنَا لَمَّا جَآءَتۡنَا ژہ چھوکھنہ اَسہِ اَندر کانہہ قصور تہ عیباہ لبان مگر یُوہے کہِ اَسہِ کیاہ کر پڑھ پنہ نِس خدایہ سندین اَحکامن یلہِ اَسہِ نِشہِ تمِ نِشانہ واتِ۔ یہ چھونہ کانہہ عیباہ نہ کانہہ جُرماہ رَبَّنَاۤ اَفۡرِغۡ عَلَيۡنَا صَبۡرًا وَّتَوَفَّنَا مُسۡلِمِيۡنَ اَی سانہِ پروردِگار اَسہِ منز تراو ژہ سیٹھاہ صبر یُتھ اَسِ فرعونہ سند تکلیف برداشت کرِتھ ہیکو۔ بیہ مار ژہ اَسہِ مسلمان۔ فرعونے اَسہِ پیٹھ سختی کرِہ یُتھ نہ اَسِ پریشان سپدو۔ یُتھ نہ سانِس ایمانس منز کینہہ خلل واقع سپدِہ وَقَالَ الۡمَلَاُ مِنۡ قَوۡمِ فِرۡعَوۡنَ اَتَذَرُ مُوۡسٰى وَقَوۡمَهٗ لِيُفۡسِدُوۡا فِى الۡاَرۡضِ وَيَذَرَكَ وَاٰلِهَتَكَ بیہ یلہِ حضرتِ موسیٰ سُندیہ بوڈ معجزہ لوکو ڈِچھ کہِ ساحر وَتہ اُون ایمان بعضی لوک تہِ سپدِ تمن سیت مُتفق۔ تمہِ وقتہ ڈُن فرعونس پنہِ قومہ کیوز ٹھیو اَی فرعون کیاہ ژہ تراوہنہ یلَے حضرتِ موسیٰ تہ تہند قوم یُتھ تمِ تباہی تہ بربادی تُلن یتھ مُلکس اَندر بیہ تراون چانِ پرستش تہ چانین معبودن ہنز پرستش کرانِ۔ قَالَ سَنُقَتِّلُ اَبۡنَآءَهُمۡ وَنَسۡتَحۡىٖ نِسَآءَهُمۡ وَاِنَّا فَوۡقَهُمۡ

لِقَوْمِهِ اسْتَعِيْنُوْا بِاللّٰهِ وَاصْبِرُوْا ۚ اِنَّ الْاَرْضَ لِلّٰهِ ۙ۫
يُوْرِثُهَا مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ ؕ وَالْعَاقِبَةُ لِلْمُتَّقِيْنَ ﴿۱۲۸﴾
قَالُوْٓا اُوْذِيْنَا مِنْ قَبْلِ اَنْ تَاْتِيَنَا وَمِنْۢ بَعْدِ مَا جِئْتَنَا ؕ
قَالَ عَسٰى رَبُّكُمْ اَنْ يُّهْلِكَ عَدُوَّكُمْ وَيَسْتَخْلِفَكُمْ فِى
الْاَرْضِ فَيَنْظُرَ كَيْفَ تَعْمَلُوْنَ ﴿۱۲۹﴾ ۧ وَلَقَدْ اَخَذْنَآ اٰلَ

---

قٰهِرُوْنَ فرعونَن ڏُوڇُھ بابتِ ومہ ٺُهہ اُسِ ماروکھ بیہ تهندپنجُوِ ٿھنہ تهند زور زیادہ ہیکہِ سَپد تھ زِندہ تھا ووکھ زنانہ تھنزہ۔ کیازِہ زنانن ہُند ڇھونہ کانہہ خطرہ۔ بیہِ لگن تمہِ خدمَتس تہ کامہِ کوچہِ اَسہِ ڇھو تمنِ پیٹھ پُورہ غلبہ حاصل۔ اُمیکہ اِطلاع یلہ بنی اسرائیلن ووت تمِ گے سخت پریشان۔ تموہیۡژاح چارہ جوئی ژھا نڈِن حضرتِ موسیٰ اَس نشہِ قَالَ مُوْسٰى لِقَوْمِهِ اسْتَعِيْنُوْا بِاللّٰهِ وَاصْبِرُوْا حضرتِ موسیٰ ان فرموو پنہ نِس قومَس مدد منگوِ خدایَس بیہِ کرو صبر بابتِ ومہ کینہہ اِنَّ الْاَرْضَ لِلّٰهِ يُوْرِثُهَا مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ پزِ پاٹھِ یہ زمین ڇھو سورُوی خُدایہ سُندوی اُمیک وارِث کرِہ سُو تِس یَس یژھ پنہ نیو بندوانِ اَندرہ۔ کنہہ کالاہ دِژُن فرعونس مگر وَالْعَاقِبَةُ لِلْمُتَّقِيْنَ آخرِ ڇھ کامیابی تمنِ تِم خدایَس کھوژہ وَنِ آسن ٺُهہ روزہِ و مستقیم ایمان و تقویٰ اَس پیٹھ۔ ہر گاہ اللہ تعالیٰ یژھِ یہِ سلطنت کرِہ توہی عطا قَالُوْٓا اُوْذِيْنَا مِنْ قَبْلِ اَنْ تَاْتِيَنَا وَمِنْۢ بَعْدِ مَا جِئْتَنَا تمِو دوپہس اَی حضرتِ موسیٰ اَسہِ وڇھہِ ہمیشہ مُصیبتھی مُصیبت۔ اَسہِ آو سخت تکلیف دِنہ تهندہِ ینہ برونٹھ تہِ تہ توہہِ پتہ تہِ۔ توہہِ برونٹھ آی سان بے شُمار لُوکٹِ مارنہ۔ وون ڇھو سُوی تجویز بیہِ کرنہ یِوان۔ آخر بنہِ کیاہ وونِ۔ قَالَ حضرتِ مُوسیٰ ان دِیُتھ تسلی فرموونکھ عَسٰى رَبُّكُمْ اَنْ يُّهْلِكَ عَدُوَّكُمْ وَيَسْتَخْلِفَكُمْ فِى الْاَرْضِ فَيَنْظُرَ كَيْفَ تَعْمَلُوْنَ مہ ڇھہ اُمید کہ عنقریب کرِہ تُهند پروردِگار تُهندِس دُشمنس ہلاک۔ بیہ کرہ توہی یمہِ مُلکچ پادشاہت عطا۔ توپتہ وُڇھہِ سُو ٺُهہ کژھ کُوم کرو وَلَقَدْ اَخَذْنَآ اٰلَ فِرْعَوْنَ بِالسِّنِيْنَ وَنَقْصٍ مِّنَ الثَّمَرٰتِ لَعَلَّهُمْ يَذَّكَّرُوْنَ اللہ تعالیٰ ڇھو فرماوان یلہِ فرعونن تہ تہندِ قومن اِنکار و مخالفس پیٹھ کمر

فِرْعَوْنَ بِالسِّنِيْنَ وَنَقْصٍ مِّنَ الثَّمَرٰتِ لَعَلَّهُمْ يَذَّكَّرُوْنَ ﴿١٣٠﴾ فَاِذَا جَآءَتْهُمُ الْحَسَنَةُ قَالُوْا لَنَا هٰذِهٖ ۚ وَاِنْ تُصِبْهُمْ سَيِّئَةٌ يَّطَّيَّرُوْا بِمُوْسٰى وَمَنْ مَّعَهٗ ؕ اَلَاۤ اِنَّمَا طٰٓئِرُهُمْ عِنْدَ اللّٰهِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿١٣١﴾ وَقَالُوْا مَهْمَا تَاْتِنَا بِهٖ مِنْ اٰيَةٍ لِّتَسْحَرَنَا بِهَا ۙ فَمَا نَحْنُ لَكَ بِمُؤْمِنِيْنَ ﴿١٣٢﴾ فَاَرْسَلْنَا عَلَيْهِمُ الطُّوْفَانَ وَالْجَرَادَ وَالْقُمَّلَ وَالضَّفَادِعَ وَالدَّمَ اٰيٰتٍ

گونڈ اَسہ کور مُبتلا فرعونہ سند خاندان قحط سالی سیت۔ بیہ میون ہندہ نقصانہ سیت۔ یتھ تم تمی سیتِ نصیحت رٹن۔ پانس پیٹھ تہ پرٛتھ قبول کرن۔ مگر تمن سُپد نہ تمہ سیت کانہہ اِصلاحاہ۔ بلکہ سُپد تہو ندحال کہ فَاِذَا جَآءَتْهُمُ الْحَسَنَةُ قَالُوْا لَنَا هٰذِهٖ ادہ یلہ تمن خوبیاہ واتان آس ڈپان آسِ یہ آیہ سانی خیطرہ۔ اَتھ سزاوار آسِ اَسی اَسِ چھناڈیکہ بڑٕ تہ خوش قسمت۔ یہ آسِ نہ تم کران کہ خدایہ سنز نعمت زانتھ دپہ ہنس شکر تو پتہ کرہ ہَن اطاعت تہ فرمانبرداری قبول وَاِنْ تُصِبْهُمْ سَيِّئَةٌ يَّطَّيَّرُوْا بِمُوْسٰى وَمَنْ مَّعَهٗ تو پتہ ہرگاہ کانہہ بدحالیاہ، قحط سالیاہ واتہ ہَکھ۔ تتھ آسِ ڈپان یہ واتھ حضرت موسیٰ بیہ تہندین پیرون ہندہ شامتہ تہ نحوستہ۔ اَلَاۤ اِنَّمَا طٰٓئِرُهُمْ عِنْدَ اللّٰهِ وارہٕ بوزو تہندہ نحوستک اَسباب چھہ خدایہ سندِس علمس منز موجود وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ مگر تموانِدرہ چھنہ اکثر لوکن کنہ خبری۔ تم اسباب گئے تہنزہ کُفر چہ کامہ سرکشی تہ ظُلم۔ بیہ بغاوت تہ شرارت۔ سو نحوست آسکھ تمہ کُوی سزا۔ وَقَالُوْا مَهْمَا تَاْتِنَا بِهٖ مِنْ اٰيَةٍ لِّتَسْحَرَنَا بِهَا فَمَا نَحْنُ لَكَ بِمُؤْمِنِيْنَ تمہ علاوہ آسِ تم ونان کہ اَکی موسیٰ ڈیٹھ کیُتھ اَنتو تہہ اَمہ نشہ کانہہ عجیب معُجزاہ، یمہ سیت تُہہ اَسہ پیٹھ سحر تہ جودکرِو پننہ خیالہ۔ مگر اَسہ پیٹھ تُمیک اثر پیہ نہ کینہہ۔ تو تہ انونہ اَسِ توہہ پیٹھ ایمان ہرگز۔ پتہ یلہ تُہنز سرکشی اوت پیٹھ واتھ فَاَرْسَلْنَا عَلَيْهِمُ الطُّوْفَانَ وَالْجَرَادَ وَالْقُمَّلَ وَالضَّفَادِعَ وَالدَّمَ اٰيٰتٍ مُّفَصَّلٰتٍ پتہ سوزہ اَسہ تمن پیٹھ قحط سالی تہ میون اَندر نقصانکہ علاوہ یمہ یمہ بلایہ، اکھ کثرتِ بارشہ ہند طوفان تہ سیلاب یُس تمن

مُّفَصَّلٰتٍ ۫ فَاسْتَكْبَرُوْا وَكَانُوْا قَوْمًا مُّجْرِمِيْنَ ﴿١٣٣﴾ وَلَمَّا وَقَعَ عَلَيْهِمُ الرِّجْزُ قَالُوْا يٰمُوْسَى ادْعُ لَنَا رَبَّكَ بِمَا عَهِدَ عِنْدَكَ ۚ لَئِنْ كَشَفْتَ عَنَّا الرِّجْزَ لَنُؤْمِنَنَّ لَكَ وَلَنُرْسِلَنَّ مَعَكَ بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ ﴿١٣٤﴾ ۚ فَلَمَّا كَشَفْنَا عَنْهُمُ الرِّجْزَ اِلٰٓى اَجَلٍ هُمْ بٰلِغُوْهُ اِذَا هُمْ يَنْكُثُوْنَ ﴿١٣٥﴾ فَانْتَقَمْنَا مِنْهُمْ

---

گھرن اَندر ٹُھین منز ووت۔ بیہِ سُوزِ اَسہِ تمن گُن ہالو۔ یمو تہنٛد سورُوی زراعت تباہ و برباد کور۔ بیہِ سوزِ اسہِ تمنِ گُن کریل تہ یِمَو یمو تُہنٛد سورُوی غلہ یُس تموٗ ذخیرہ کورمُت اوس تباہ کور۔ بیہِ سوزہ اسہِ تمنِ گُن ننہِ مونٛڈجہِ۔ یمہِ کھینہ گیٖن تہ چنہ کیٖن چیزن منز آسکھ وَسان تہ پھیران بیہ خون یُس تریشہِ بدل چوان آسِ۔ آبَس اُوسُکھ خون بنان۔ تِمے واریاہ نشانہ تہ واضح مُعجزہ۔ تِم ستوٕے مُعجزہ تہ بیہ عصاء تہ یدِ بیضاء گیٔ نو مُعجزہ ساری۔ تِم معجزہ وُچھتھ پزِہا تمنِ ایمان اَنُن تہ پڑھ کرنِ مگر فَاسْتَكْبَرُوْا وَكَانُوْا قَوْمًا مُّجْرِمِيْنَ کور تموٗ تکبر۔ درحقیقت آسِ تِم جرائم پیشہ۔ ایژ سختی واتھ تہ آی نہ تِم سرکشی نشہِ باز وَلَمَّا وَقَعَ عَلَيْهِمُ الرِّجْزُ قَالُوْا يٰمُوْسَى ادْعُ لَنَا رَبَّكَ بِمَا عَهِدَ عِنْدَكَ یلہِ تمنِ یِمو عذابو اَندرہ کانٛہہ عذاباہ واتان اوس تمہِ ساتہ آسِ ونان اَی موسیٰ سانہِ خیٖطرہ منگو پننہِ نسِ خدایس یمیوک تِم توہہِ سیت وعدہ کورمُت چھو کہِ ہرگاہ تِم نافرمانی نشہِ بازِ ین تلہِ گرَ واَسِ تمنِ نشہِ سختی تہ عذاب دُور۔ لَئِنْ كَشَفْتَ عَنَّا الرِّجْزَ لَنُؤْمِنَنَّ لَكَ وَلَنُرْسِلَنَّ مَعَكَ بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ اَسِ چھہِ قسم ہاو تھ ونان کہ ہرگاہ یہِ عذاب اَسہِ نشہِ دُور کرِو، ضرور گرَواَسِ توہہِ پڑھ۔ بیہ سُوزو کھ اَسِ آزاد کرتھ بنی اسرائیل توہہِ سیت فَلَمَّا كَشَفْنَا پس یلہِ اَسِ حضرتِ موسیٰ سندِ دُعاءِ سیت دور کران آس عَنْهُمُ الرِّجْزَ اِلٰٓى اَجَلٍ هُمْ بٰلِغُوْهُ اِذَا هُمْ يَنْكُثُوْنَ تمن نشہ عذاب تتھہ وقس تان۔ یتھ وقس تان تمنِ واتُن اُوس۔ اَتی آسِ تِم سُو عہد بیہِ پھُٹر وان۔ تمہِ پتہ یلہِ اَسہِ وُچھ کہِ تِم چھہِ پننہِ شرارتہ نشہِ بازیوان فَانْتَقَمْنَا مِنْهُمْ فَاَغْرَقْنٰهُمْ فِى الْيَمِّ پس ہیُوت اَسہِ تمنِ انتقام یمہِ طریقہ کہِ پھاٹو اَسہِ تِم دریایِ قلزُمس اَندر

فَاَغْرَقْنٰهُمْ فِى الْيَمِّ بِاَنَّهُمْ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَكَانُوْا عَنْهَا غٰفِلِيْنَ ﴿١٣٦﴾ وَاَوْرَثْنَا الْقَوْمَ الَّذِيْنَ كَانُوْا يُسْتَضْعَفُوْنَ مَشَارِقَ الْاَرْضِ وَمَغَارِبَهَا الَّتِىْ بٰرَكْنَا فِيْهَا ؕ وَتَمَّتْ كَلِمَتُ رَبِّكَ الْحُسْنٰى عَلٰى بَنِىْٓ اِسْرَآءِيْلَ ۙ۬ بِمَا صَبَرُوْا ؕ وَدَمَّرْنَا مَا كَانَ يَصْنَعُ فِرْعَوْنُ وَقَوْمُهٗ وَمَا كَانُوْا يَعْرِشُوْنَ ﴿١٣٧﴾ وَجٰوَزْنَا بِبَنِىْٓ اِسْرَآءِيْلَ الْبَحْرَ فَاَتَوْا عَلٰى قَوْمٍ يَّعْكُفُوْنَ عَلٰٓى اَصْنَامٍ لَّهُمْ ۚ قَالُوْا يٰمُوْسَى اجْعَلْ لَّنَآ اِلٰهًا كَمَا لَهُمْ

---

بِاَنَّهُمْ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَكَانُوْا عَنْهَا غٰفِلِيْنَ امی مُوکھہ کہ تمو کیازانِ سان آیات اپزِ۔ بیہ آس سانیو آیاتو نشہِ تغافل تہٕ بے توجہی کران اِصرار و عنادہ سیت۔ اِطاعت و فرمانبرداری ہُند وعدہ کرِتھ آسِ سُو وعدہ پھِٹہٕ راوان وَاَوْرَثْنَا الْقَوْمَ الَّذِيْنَ كَانُوْا يُسْتَضْعَفُوْنَ مَشَارِقَ الْاَرْضِ وَمَغَارِبَهَا الَّتِىْ بٰرَكْنَا فِيْهَا فرعون تہٕ تہُند قوم ہلاک کرِتھ بناوِ اَسہِ وارِث تمِ لُوکھ یم کمزوریُوان آسِ زاننہ تمہِ مُلکہ کہِ مشرقی حِصک تہٕ تہٕ مغربی حِصک تہٕ۔ یتھ مُلکس اَندر اسہِ ظاہری و باطنی برَکت تھاوِمژ آس۔ وَتَمَّتْ كَلِمَتُ رَبِّكَ الْحُسْنٰى عَلٰى بَنِىْٓ اِسْرَآءِيْلَ بِمَا صَبَرُوْا بیہ سپدُ پُورہ نیکی ہُند رُت وعدہ بنی اسرائیلن سیت تہندِ صبر کرنکہِ برکتہ وَدَمَّرْنَا مَا كَانَ يَصْنَعُ فِرْعَوْنُ وَقَوْمُهٗ وَمَا كَانُوْا يَعْرِشُوْنَ بیہ کور اَسہِ تباہ تہٕ سوٗرُوی یہِ تیار کران اوٗس فرعون تہٕ تہند قوم۔ یعنی تہُند کارخانہ بیہ یہِ تم تمنِ کارخانَن اَندر تیار کران آسِ۔ بیہ یم تہدِ تہد مکانہ تمِ بناکران آسِ۔ وَجٰوَزْنَا بِبَنِىْٓ اِسْرَآءِيْلَ الْبَحْرَ فَاَتَوْا عَلٰى قَوْمٍ يَّعْكُفُوْنَ عَلٰٓى اَصْنَامٍ لَّهُمْ بیہ تار دریایِ قلزُمس اَپور اَسہِ بنی اسرائیل یتھ منز فرعون سارِی لشکر ہیتھ پھاٹو۔ پَس پکِ تمِ اَکِس قومَس کُن یم پننہِ پنن پُوتلین برونٹھہ کنہِ پرستشہ خیطرہ بہتھ آسِ قَالُوْا يٰمُوْسَى اجْعَلْ لَّنَآ اِلٰهًا كَمَا لَهُمْ اٰلِهَةٌ دِپنہِ لگِ (تمِ بنی اسرائیل) اَی موسٰی سانہِ خیطرہ تہٕ

اٰلِهَةٌ ؕ قَالَ اِنَّكُمْ قَوْمٌ تَجْهَلُوْنَ ﴿١٣٨﴾ اِنَّ هٰٓؤُلَآءِ مُتَبَّرٌ مَّا هُمْ فِيْهِ وَبٰطِلٌ مَّا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٣٩﴾ قَالَ اَغَيْرَ اللّٰهِ اَبْغِيْكُمْ اِلٰهًا وَّهُوَ فَضَّلَكُمْ عَلَى الْعٰلَمِيْنَ ﴿١٤٠﴾ وَاِذْ اَنْجَيْنٰكُمْ مِّنْ اٰلِ فِرْعَوْنَ يَسُوْمُوْنَكُمْ سُوْٓءَ الْعَذَابِ ۚ يُقَتِّلُوْنَ اَبْنَآءَكُمْ وَيَسْتَحْيُوْنَ نِسَآءَكُمْ ؕ وَفِيْ ذٰلِكُمْ بَلَآءٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ عَظِيْمٌ ﴿١٤١﴾

---

کرِ مُقرر رکھ پُوتلاه۔ يتھ پاڻ ٿمَن لُوکن ڇھِ واريا پُوتلِ برونٿھ کنهِ قَالَ اِنَّكُمْ قَوْمٌ تَجْهَلُوْنَ حضرتِ موسىٰ اَن فرموو کھ پزپاڻھِ ڇھوه ٿُهه سخت جاہل قوم۔ اِنَّ هٰٓؤُلَآءِ مُتَبَّرٌ مَّا هُمْ فِيْهِ وَبٰطِلٌ مَّا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ پزپاڻھِ ٿمِ لُوکھ يتھ کامهِ سيت لگمتِ ڇھِ، يهِ سورُوی ڇھُو تباه گڙھ وُن۔ بيهِ ڇھُو باطِل تہٕ لغوتهِ سورُوی يهِ ٿمِ کران ڇھِ شرگو کاميو اَندره قَالَ اَغَيْرَ اللّٰهِ اَبْغِيْكُمْ اِلٰهًا وَّهُوَ فَضَّلَكُمْ عَلَى الْعٰلَمِيْنَ حضرتِ موسىٰ اَن فرموو کھ کياه بُو ڙھانڈ نہ معبُودِ برحقس وراے ٿُهندِ خيطره بياکھ معبُود اه۔ حالانکهِ توحيدچو دِليلو علاوه ڇھُو ٿهنُد مُحسن تہٕ مُنعم سُوی، ٿمی معبُودِ برحقن دِ توه توههِ فضيلت سارنی عالمين پيٹھ وَاِذْ اَنْجَيْنٰكُمْ مِّنْ اٰلِ فِرْعَوْنَ اللّٰہ تعالىٰ ڇھُو فرماوان اَی بنی اسرائيلو بيهِ پاوِ وتهٕ ژِتيس يلهِ اَسهِ نجات دِيُت توههِ فرعونه سِندَ يولو کونشهِ يَسُوْمُوْنَكُمْ سُوْٓءَ الْعَذَابِ ٿمِ توههِ واتناوان آسِ سخت تکليف تہٕ عذاب يُقَتِّلُوْنَ اَبْنَآءَكُمْ ٿمِ کھش کران آسِ بے دريغ ٿچوين ٿُهندين وَيَسْتَحْيُوْنَ نِسَآءَكُمْ زنده آسِ تھاوان زنانن ٿُهنزن بيگاره تہٕ خدمتہ خيطره وَفِيْ ذٰلِكُمْ بَلَآءٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ عَظِيْمٌ اتھ منز آس ٿهندِ خيطره بڈ آزمايش ٿهندِس پروردگاره سُندِ ه طرفہ۔ اَمهِ وراے تہٕ آسِ توههِ پيٹھ خدايهِ سندِ گمِ اِحسان مگر توههِ تھووڈه نہ کانہہ احساناه ژِتيس۔ تهٕ سپدِ وه آماده شرگس پيٹھ۔ بہرحال يلهِ بنی اسرائيل ساروِی پريشانيو نشهِ آزاد سپدِ، ٿمو کورَ درخواست حضرتِ مُوسىٰ اَس کهِ ووَنِ کرِ وہز مُقرر سانہ خيطرِ ه اکھ شريعتھاه يمهِ مُوجب اَس بفراغت عمل کرِ و حضرت مُوسىٰ اَن کور ٿميک درخواست اللّٰہ تعالىٰ اَس تتھِ متعلق ڇھُو اللّٰہ تعالىٰ فرماوان وَوٰعَدْنَا مُوْسٰى ثَلٰثِيْنَ لَيْلَةً وَّاَتْمَمْنٰهَا بِعَشْرٍ بيهِ کور اَسهِ وعده حضرتِ

وَوٰعَدْنَا مُوْسٰى ثَلٰثِيْنَ لَيْلَةً وَّاَتْمَمْنٰهَا بِعَشْرٍ فَتَمَّ مِيْقَاتُ رَبِّهٖۤ اَرْبَعِيْنَ لَيْلَةً ۚ وَقَالَ مُوْسٰى لِاَخِيْهِ هٰرُوْنَ اخْلُفْنِىْ فِىْ قَوْمِىْ وَاَصْلِحْ وَلَا تَتَّبِعْ سَبِيْلَ الْمُفْسِدِيْنَ ﴿۱۴۲﴾ وَلَمَّا جَآءَ مُوْسٰى لِمِيْقَاتِنَا وَكَلَّمَهٗ رَبُّهٗ ۙ قَالَ رَبِّ اَرِنِىْۤ اَنْظُرْ اِلَيْكَ ؕ قَالَ لَنْ تَرٰىنِىْ وَلٰكِنِ انْظُرْ اِلَى

---

مُوسیٰ اَس ترہَن شَمن رُوزِو کوہِ طورُس پیٹھ اِعتکافس۔ بیہِ رُوزو تمن دوہَن روزہ دار۔ اَدہ کرووہ اَسِ عطا توہہِ تورات۔ توپتہ کرہ نووسُواسہِ پُورہ تمِ ترہ[۳۰] دوہ بیہِ دٔہو[۱۰] دوہو سیت فَتَمَّ مِيْقَاتُ رَبِّهٖۤ اَرْبَعِيْنَ لَيْلَةً پَس پُورتہ مُکمل سُپد تمسِندِس پروردگارسُند مُقرر کرنہ آمُت وقت ژتجہ[۴۰] راژ۔ یعنی ژتجہن راژَن عبادت ژتجہن دُوہَن روزہ دار روٗزِتھ کور تمو ملاقات خُدایس سیت کوہ طورُس پیٹھ، تتھِ ملاقاتُس منز کورُکھ اللہ تعالیٰ اَن پنُن کِتاب تورات عطا۔ وَقَالَ مُوْسٰى لِاَخِيْهِ هٰرُوْنَ اخْلُفْنِىْ فِىْ قَوْمِىْ وَاَصْلِحْ وَلَا تَتَّبِعْ سَبِيْلَ الْمُفْسِدِيْنَ بیہِ تمہِ ساتہ حضرتِ مُوسے کوہ طورس پیٹھ ینہ خیطرہ درائے تمہِ وقتہ فرموو تمو برادرس پنہ نِس حضرتِ ہارونس ژہ سپد خلیفہ مُیون میانہِ قومہ خیطرہ۔ بیہِ یوتُ پلی تیوت کرِزہ قومس اِصلاح۔ بیہِ یُتھنہ پکِکھہ مُفسِدن ہنزِ وتہِ بد نظمی کرہ ؤنِن ہنزِ رایہِ مُوجب کرِزہ نہ عمل وَلَمَّا جَآءَ مُوْسٰى لِمِيْقَاتِنَا اَتھ واقعس اَندریلہِ حضرتِ مُوسیٰ آو سانہِ ملاقاتہ خیطرہ وَكَلَّمَهٗ رَبُّهٗ تمن سیت کرِہ واریاہ لطُف و مہربانی ہنزِہ کتھہ تہندِ پروردِگارن۔ شدتِ انبساطہ سبَبہ سپدُکھ شوقِ دِیدار لذتِ گفتار حاصِل سپدِت کورُکھ تمی لذت دیدارک درخواست قَالَ رَبِّ اَرِنِىْۤ اَنْظُرْ اِلَيْكَ حضرتِ مُوسیٰ اَن کور عرض اَی مِیانہ پروردِگارہ مےِ ہاو تہ پنُن ذاتِ پاک، بُووچھِ ہَت ژہ قَالَ لَنْ تَرٰىنِىْ اللہ تعالیٰ اَن فرموٗدُس ژہ ہیکَکھ نہ مے وچھت دُنیاءس اَندر کیازِہ یمہِ اَچھہِ اَنَن نہ تاب میانہِ دِیدارُک دُنیاءس اَندر وَلٰكِنِ انْظُرْ اِلَى الْجَبَلِ مگر تہندہ تسلی خیطرہ چھُو سُون تجویز کہِ تُہہ دیوِ نظر یتھ کوہَس کُن۔ اَسِ تراو تتھ پیٹھ پنُن اکھ پرتواہ فَاِنِ اسْتَقَرَّ مَكَانَهٗ

الْجَبَلِ فَاِنِ اسْتَقَرَّ مَكَانَهٗ فَسَوْفَ تَرٰىنِیْ ۚ فَلَمَّا تَجَلّٰى رَبُّهٗ لِلْجَبَلِ جَعَلَهٗ دَكًّا وَّ خَرَّ مُوْسٰى صَعِقًا ۚ فَلَمَّاۤ اَفَاقَ قَالَ سُبْحٰنَكَ تُبْتُ اِلَیْكَ وَ اَنَا اَوَّلُ الْمُؤْمِنِیْنَ ﴿۱۴۳﴾ قَالَ یٰمُوْسٰۤى اِنِّی اصْطَفَیْتُكَ عَلَى النَّاسِ بِرِسٰلٰتِیْ وَ بِكَلَامِیْ ۖ فَخُذْ مَاۤ اٰتَیْتُكَ وَ كُنْ مِّنَ الشّٰكِرِیْنَ ﴿۱۴۴﴾ وَ كَتَبْنَا لَهٗ فِی الْاَلْوَاحِ مِنْ كُلِّ شَیْءٍ مَّوْعِظَةً وَّ تَفْصِیْلًا لِّكُلِّ

فَسَوْفَ تَرٰىنِیْ پس ہر گاہ یہ کوہ پننہ جایہ بر قرار تہ ڈنجہ رؤد۔ تیلہ شاید ہیکو تہٕ مہ وچھتھ چنانچہِ حضرتِ مُوسیٰ رُودا تھ کوٗہس کُن وچھان فَلَمَّا تَجَلّٰى رَبُّهٗ لِلْجَبَلِ جَعَلَهٗ دَكًّا وَّ خَرَّ مُوْسٰى صَعِقًا پس یلہِ جلوہ ترٛوو حضرتِ مُوسیٰ سندِ پروردگارن کوہِ طوٗرس پیٹھ تمہ جلون کور تتھ کوٗہس ژٛس توٚپتہ گیس چھلہ حضرتِ مُوسیٰ پیوٚ بیہوش سپدِتھ پتھر وَستھ فَلَمَّاۤ اَفَاقَ قَالَ سُبْحٰنَكَ تُبْتُ اِلَیْكَ ادہ یلہِ ہوٗشہِ آی حضرتِ مُوسیٰ، عرض کوٗرُکھ، واقعی چھُو چوٚن ذاتِ پاک ہمواچھو سیت وچھنہ نشہِ منزہ تہ پاک۔ ای میانہِ پروردگارہ بُو چھُس چانس خدمتس اَندر امہِ مشتاقانہ درخواست کرنہِ نشہِ معذرت منگان وَ اَنَا اَوَّلُ الْمُؤْمِنِیْنَ بُو چھُس چانس ارشادِ کُن ترانی یس پیٹھ گوڈہ ٹکوی پژھ کرہ وُن قَالَ یٰمُوْسٰۤى اِنِّی اصْطَفَیْتُكَ عَلَى النَّاسِ بِرِسٰلٰتِیْ وَ بِكَلَامِیْ فَخُذْ مَاۤ اٰتَیْتُكَ وَ كُنْ مِّنَ الشّٰكِرِیْنَ فرموٗس اللہ تعالیٰ اَن ای مُوسیٰ۔ یہ چھُو سیٹھاہ تہندہ خیطرہ کہ پزٛ پاٹھہِ کوٗرُکھ ژٕہ برگزیدہ لوکو اَندر پننہِ پیغمبری سیت بیہ پننہِ کلامہ سیت۔ پس رٔٹ ژٕہ یہ مہ ژیہ عطا کوٗروی۔ بیہ آس ژٕہ شُکر گذار بندو اَندرہ۔ وَ كَتَبْنَا لَهٗ فِی الْاَلْوَاحِ مِنْ كُلِّ شَیْءٍ بیہ دیُت اَسہِ لیکھت کینژن پچن پیٹھ پریتھ چیزاہ تیٚ دینس منز ضرورت آس مَّوْعِظَةً وَّ تَفْصِیْلًا لِّكُلِّ شَیْءٍ یُوسہ بڈ نصیحت چھہ بیہ یتھ منز پریتھ چیزک بیان ویژھ ناوِتھ چھُو فَخُذْهَا بِقُوَّةٍ پس کرِو پانہ تہِ امہِ مُوجب عمل کوشِشہِ سان وَّ اْمُرْ قَوْمَكَ یَاْخُذُوْا بِاَحْسَنِهَا بیہ کرِو حکم پننہ نِس قوٗمس کہِ تمہ تہِ رٔٹن اَمچہِ رژہ رژہ کتھ تہ رتِ رت

شَیۡءٍ ۚ فَخُذۡهَا بِقُوَّةٍ وَّاۡمُرۡ قَوۡمَكَ یَاۡخُذُوۡا بِاَحۡسَنِهَا ؕ سَاُورِیۡكُمۡ دَارَ الۡفٰسِقِیۡنَ ﴿۱۴۵﴾ سَاَصۡرِفُ عَنۡ اٰیٰتِیَ الَّذِیۡنَ یَتَكَبَّرُوۡنَ فِی الۡاَرۡضِ بِغَیۡرِ الۡحَقِّ ؕ وَاِنۡ یَّرَوۡا كُلَّ اٰیَةٍ لَّا یُؤۡمِنُوۡا بِهَا ۚ وَاِنۡ یَّرَوۡا سَبِیۡلَ الرُّشۡدِ لَا یَتَّخِذُوۡهُ سَبِیۡلًا ۚ وَاِنۡ یَّرَوۡا سَبِیۡلَ الۡغَیِّ یَتَّخِذُوۡهُ سَبِیۡلًا ؕ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمۡ كَذَّبُوۡا بِاٰیٰتِنَا وَكَانُوۡا عَنۡهَا غٰفِلِیۡنَ ﴿۱۴۶﴾ وَالَّذِیۡنَ كَذَّبُوۡا

---

ہدایات تتھ منز چھو سورڈی رُتوی سَاُورِیۡكُمۡ دَارَ الۡفٰسِقِیۡنَ عنقریب ہاوہ بُو توہہ نافرمانٛن ہُند گرہ۔ اَتھ منز چھ بشارت تہ وعدہ کہ بُو واتناووٚ تہہ مصرس یا شامس اندر تیٚژ سلطنت کرووہ عطا۔ خدایہ سنٛزہ فرمانبرداری ہنٛد چھہٕ تیٚیہِ فائدہ نافرمانی سیٚم کرن تھنٛدہ خیطرہ چھو سَاَصۡرِفُ عَنۡ اٰیٰتِیَ الَّذِیۡنَ یَتَكَبَّرُوۡنَ فِی الۡاَرۡضِ بِغَیۡرِ الۡحَقِّ عنقریب پھِرکھ بُو پنہٕ نیو آیا تونشہِ قدرتہ کیو نشانو نشہِ تِم لُوکھ یِم تکبر کران چھہِ زمینس منز ناحق۔ یعنی تمن سپدہ نہ آیاتو تہ مُعجزو سیت کانہہ اثراہ۔ دِلن ہنزہ قساوت و شقاوتہ سببہ وَاِنۡ یَّرَوۡا كُلَّ اٰیَةٍ لَّا یُؤۡمِنُوۡا بِهَا ہرگاہ تِم وچھن ساری آیات تہ مُعجزات تو تہ کرن نہ تِم پزٕھ۔ تھنز ذہنیتھی چھہ عجیب وَاِنۡ یَّرَوۡا سَبِیۡلَ الرُّشۡدِ لَا یَتَّخِذُوۡهُ سَبِیۡلًا ہرگاہ تِم ہدایژ وتھ چھہِ وچھان تمہٕ وَتہ چھنہٕ تِم پکن ہیوان وَاِنۡ یَّرَوۡا سَبِیۡلَ الۡغَیِّ یَتَّخِذُوۡهُ سَبِیۡلًا ہرگاہ گمراہی ہنز کانہہ وَتھاوُ چھان چھہِ تمی وتہ چھہِ پکن ہیوان یہ چھو علامت دِلن ہندہ مسخ سپدنُک ذٰلِكَ بِاَنَّهُمۡ كَذَّبُوۡا بِاٰیٰتِنَا وَكَانُوۡا عَنۡهَا غٰفِلِیۡنَ یہ حالت بنے یہ تمنِ امی سببہ کہِ تِم آسِ تکبرہ سببہ اپنٛز زانان سانین آیاتن بیہ آسِ تِم تمنِ آیاتن اندر غور و فکر کرنہ نشہِ بالکل غافل۔ وَالَّذِیۡنَ كَذَّبُوۡا بِاٰیٰتِنَا وَلِقَآءِ الۡاٰخِرَةِ حَبِطَتۡ اَعۡمَالُهُمۡ بیہ یِمو لوکو سانِ آیات تہ اَسہِ سیت مُلاقات کرن آخرتس اندر اپز زون، تتھ کورُکھ انکار، تھنزہ سارے عملہ یِمنِ ہندہ نفع تہ فاید چ تمنِ امید آس گیہ ضائع هَلۡ یُجۡزَوۡنَ اِلَّا مَا كَانُوۡا یَعۡمَلُوۡنَ تمنِ لیہ نہ سزا دِنہ مگر تمکوی یہ تِم کران آسِ، کُفر وانکارتہ

بِاٰيٰتِنَا وَلِقَآءِ الْاٰخِرَةِ حَبِطَتْ اَعْمَالُهُمْ ؕ هَلْ يُجْزَوْنَ اِلَّا مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٤٧﴾ وَاتَّخَذَ قَوْمُ مُوْسٰى مِنْ بَعْدِهٖ مِنْ حُلِيِّهِمْ عِجْلًا جَسَدًا لَّهٗ خُوَارٌ ؕ اَلَمْ يَرَوْا اَنَّهٗ لَا يُكَلِّمُهُمْ وَلَا يَهْدِيْهِمْ سَبِيْلًا ۘ اِتَّخَذُوْهُ وَكَانُوْا ظٰلِمِيْنَ ﴿١٤٨﴾ وَلَمَّا سُقِطَ فِيْٓ اَيْدِيْهِمْ وَرَاَوْا اَنَّهُمْ قَدْ ضَلُّوْا ۙ قَالُوْا لَئِنْ لَّمْ يَرْحَمْنَا رَبُّنَا وَيَغْفِرْ لَنَا لَنَكُوْنَنَّ مِنَ الْخٰسِرِيْنَ ﴿١٤٩﴾

---

نافرمانيءَ جي سزا ڇو اِي وَاتَّخَذَ قَوْمُ مُوْسٰى مِنْ بَعْدِهٖ مِنْ حُلِيِّهِمْ عِجْلًا جَسَدًا لَّهٗ خُوَارٌ يعني حضرتِ موسىٰ کوهِ طور ڏانهن تورات آڻڻ لاءِ ويا هئا. تنهن کانپوءِ سندن قوم پنهنجي زيورن مان هڪ گابو ٺاهيو جنهن جو آواز گابي جهڙو هو. اهو گابو ڪنهن قبطيءَ جي ڪارستاني هئي. ان کي پوڄڻ لڳا. حقيقت ۾ اهو هڪ ڍانچو هو، جنهن ۾ هوا جي گذرڻ سان آواز نڪرندو هو. بنا عقل جي ان جي پوڄا ڪرڻ لڳا. اَلَمْ يَرَوْا اَنَّهٗ لَا يُكَلِّمُهُمْ وَلَا يَهْدِيْهِمْ سَبِيْلًا ڇا هنن ڏٺو نه ٿي ته اهو نه انسان سان ڳالهائي ٿو ۽ نه انهن کي ڪا رستي جي رهنمائي ڪري ٿو. يعني اهو گابو نه ته ڪا ڳالهه ڪري سگهي ٿو ۽ نه دين يا دنيا جي ڪا ڳالهه ٻڌائي سگهي ٿو. اِتَّخَذُوْهُ وَكَانُوْا ظٰلِمِيْنَ انهن ان کي معبود بڻايو، ۽ هو ظالم هئا، ڇو ته انهن پنهنجي جانين تي ظلم ڪيو. وَلَمَّا سُقِطَ فِيْٓ اَيْدِيْهِمْ حضرتِ موسىٰ جڏهن ڪوهِ طور تان واپس آيا ته هو سخت پشيمان ٿيا ۽ شرمنده ٿيا. وَرَاَوْا اَنَّهُمْ قَدْ ضَلُّوْا ۙ ۽ ڏٺائون ته واقعي هو گمراهه ٿي ويا آهن، گمراهي ۾ پئجي ويا آهن. قَالُوْا لَئِنْ لَّمْ يَرْحَمْنَا رَبُّنَا وَيَغْفِرْ لَنَا لَنَكُوْنَنَّ مِنَ الْخٰسِرِيْنَ چيائون ته جيڪڏهن اسان جو رب اسان تي رحم نه ڪندو ۽ اسان کي نه بخشيندو ته ضرور اسين نقصان وارن مان ٿينداسين. وَلَمَّا رَجَعَ مُوْسٰٓى اِلٰى قَوْمِهٖ غَضْبَانَ اَسِفًا ۽ جڏهن حضرتِ موسىٰ پنهنجي قوم ڏانهن ڏاڍي ڏک ۽ ڪاوڙ ۾ موٽيو، سخت غمگين. قَالَ فرمايائين ته پنهنجي قوم کي ته بِئْسَمَا خَلَفْتُمُوْنِيْ مِنْ

وَلَمَّا رَجَعَ مُوسَىٰ إِلَىٰ قَوْمِهِ غَضْبَانَ أَسِفًا ۙ قَالَ بِئْسَمَا خَلَفْتُمُونِي مِن بَعْدِي ۖ أَعَجِلْتُمْ أَمْرَ رَبِّكُمْ ۖ وَأَلْقَى الْأَلْوَاحَ وَأَخَذَ بِرَأْسِ أَخِيهِ يَجُرُّهُ إِلَيْهِ ۚ قَالَ ابْنَ أُمَّ إِنَّ الْقَوْمَ اسْتَضْعَفُونِي وَكَادُوا يَقْتُلُونَنِي فَلَا تُشْمِتْ بِيَ الْأَعْدَاءَ وَلَا تَجْعَلْنِي مَعَ الْقَوْمِ الظَّالِمِينَ ﴿١٥٠﴾ قَالَ رَبِّ اغْفِرْ لِي وَلِأَخِي وَأَدْخِلْنَا فِي رَحْمَتِكَ ۖ وَأَنتَ أَرْحَمُ الرَّاحِمِينَ ﴿١٥١﴾ إِنَّ الَّذِينَ اتَّخَذُوا

---

بَعْدِي سیٹھاہ بچھہ حر کتھاہ کرِوہٕ یہِ توہہِ مہِ پتہٕ أَعَجِلْتُمْ أَمْرَ رَبِّكُمْ کیاہ بانبر کرِوہ تٔہہ پنہٕ نِس پروردِگارہ سُند حکم واتنہٕ برونٹھی بُوی تہندہ خیطرہ اَحکام انہٕ نٔے کوہِ طُورس پیٹھ گومُت اوُس وَأَلْقَى الْأَلْوَاحَ وَأَخَذَ بِرَأْسِ أَخِيهِ يَجُرُّهُ إِلَيْهِ توپتہٕ پھیرِ حضرتِ ہارونس گٔن گوڈہ تھاویکھ تمہٕ پتہٕ تِمن پیٹھ تورات لیکھِت اُوس پتھر زورہ سان۔ اَتھ زہٕ خالی کرِتھ روٹُکھ توپتہٕ پنہٕ نِس باۍِ سُند حضرتِ ہارونہٕ سُند کلہٕ تَس لگِ مستہٕ رٹتھ پانس کُن لمنہِ دُوپہس توہہِ کیازِہ کورہوہٕ نہٕ قومُک پوُرُ انتظام قَالَ ابْنَ أُمَّ حضرتِ ہارونن دوپُچھ اَکی میانہِ ماجہِ ہندِ پوتھرہ، یعنی اَی میانہِ بایہِ مہٕ کرے یہِ پنہٕ طرفہٕ سیٹھاہ کوشش تِمِ پتھ رَٹنہٕ خیطرہ إِنَّ الْقَوْمَ اسْتَضْعَفُونِي وَكَادُوا يَقْتُلُونَنِي لیکن یمو لوکو زونُس بُو کمزور میان نصیحت کرن آس نہٕ تِمن شرپان یتھ منز تِموہیزٕوس بومارُن فَلَا تُشْمِتْ بِيَ الْأَعْدَاءَ پَس مہٕ کرِکھ مہٕ پیٹھ ہاٹھ پھُر، اونہٕ سیتِ دُشمن خوش وَلَا تَجْعَلْنِي مَعَ الْقَوْمِ الظَّالِمِينَ بیہِ مہِ سیت اَمہِ قسمُک برتاو کرنہٕ سیت مہٕ گنزرِومہٕ ظالمن تہٕ مجرِمن سیتِ تہٕ گیوو ہرگاہ مہِ تِم یتھ رٹنس اَندر کوتاہی تہٕ سُستی کرمٕژ آسہِ قَالَ رَبِّ اغْفِرْ لِي وَلِأَخِي حضرتِ مُوسیٰ اَن مُونگ خدایس اَی میانہِ پروردِگار مغفرت کرمہٕ بیہِ میانس بایس سُون خطا کر مُعاف وَأَدْخِلْنَا فِي رَحْمَتِكَ اَسہِ دوشونِ واتناو پنہٕ نِس خاص رحمتس منز۔ وَأَنتَ أَرْحَمُ الرَّاحِمِينَ ژٕہ چھُوکھ سارِوی اَندرہ یژٕر رحم کرہ وُن۔ اَسہِ چھہٕ سیٹھاہ امید ژٕہ کرکھ سُون دُعا قبول۔ اللہ تعالیٰ ان فرموو تِمن لُوکن مُتعلق یمو وَژھس پرستش کر إِنَّ الَّذِينَ اتَّخَذُوا الْعِجْلَ پزٕ

الْعِجْلَ سَيَنَالُهُمْ غَضَبٌ مِّنْ رَّبِّهِمْ وَذِلَّةٌ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۭ
وَكَذٰلِكَ نَجْزِي الْمُفْتَرِيْنَ ﴿۱۵۲﴾ وَالَّذِيْنَ عَمِلُوا السَّيِّاٰتِ ثُمَّ تَابُوْا
مِنْۢ بَعْدِهَا وَاٰمَنُوْٓا ۡ اِنَّ رَبَّكَ مِنْۢ بَعْدِهَا لَغَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿۱۵۳﴾
وَلَمَّا سَكَتَ عَنْ مُّوْسَى الْغَضَبُ اَخَذَ الْاَلْوَاحَ ښ وَفِيْ نُسْخَتِهَا
هُدًى وَّرَحْمَةٌ لِّلَّذِيْنَ هُمْ لِرَبِّهِمْ يَرْهَبُوْنَ ﴿۱۵۴﴾ وَاخْتَارَ مُوْسٰى

---

پاٹھۍ یمو لُوکو بنوو سامری سُند دوٗرھ پُنُن معبود۔ اگر نہ ونہِ تہٕ تم توبہ کرن سَيَنَالُهُمْ غَضَبٌ مِّنْ رَّبِّهِمْ وَذِلَّةٌ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا تلہٕ وَسہِ عنقریب تمن پیٹھ غضب تہٕ بیزاری۔ تہندس پروردگارہ سندہ طرفہ۔ بیہ تمہِ علاوہ خواری تہٕ رسوائی دُنیاچہِ زندگانی اندری۔ یہ چھنہ تہنزی کینہہ خصوصیتاہ وَكَذٰلِكَ نَجْزِي الْمُفْتَرِيْنَ بلکہ چھہِ اَسِ اتھوی سزا دِوان اپز ٹھہراوونین کہ دُنیاسِی منز چھکھ اَسِ تمِ ذلیل و خوار کران۔ کانہہ فوراً کانہہ پتہٕ یہن وَالَّذِيْنَ عَمِلُوا السَّيِّاٰتِ ثُمَّ تَابُوْا مِنْۢ بَعْدِهَا وَاٰمَنُوْٓا بیہ تم لُوکھ یمو یتھہ کامہِ کرہِ مثلاً وٗرھ سنز پرستش، تو پتہٕ کورکھ توبہ بیہ اُنکھ ایمان گُر تراوِتھ اِنَّ رَبَّكَ مِنْۢ بَعْدِهَا لَغَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ پزپاٹھ تہند پروردگار چھو بندن ہندہ توبہ کرنہ پتہٕ تہندین گنٛہن ضرور مغفرت کرہ ؤن۔ بیہ تہندس حالس پیٹھ رحم کرہ ؤن وَلَمَّا سَكَتَ عَنْ مُّوْسَى الْغَضَبُ یلہِ ادہ حضرتِ موسیٰ اَن حضرتِ ہارونہ سنزِ یہ معذرت بُوز ژکھ ہے یکھ اَخَذَ الْاَلْوَاحَ تُجکھ تمہِ پچہ تمن پیٹھ تورات لیکھتھ اوس وَفِيْ نُسْخَتِهَا هُدًى وَّرَحْمَةٌ لِّلَّذِيْنَ هُمْ لِرَبِّهِمْ يَرْهَبُوْنَ درحالیکہِ تمہِ کس تحریرس منز اوس بوڈ ہدایت تہٕ بڈ رحمت تمن لُوکن ہندہ خیطرہ یم پنہ نس پروردگارس چھہِ کھوژان۔ مُراد چھو تمہِ اندرہ تمِک تمِ احکام یمن پیٹھ عمل کرنہ سیت شخص چھو ہدایت یاب سپدان۔ رحمس اُمیدوار سپدان۔ یلہ وٗرھہِ سُند قصہِ ختم سپد تہٕ حضرتِ موسیٰ اَن ہیت توراتک اَحکام اِطمینانہ سان لوگن واتناونِ۔ مگر تمن لُوکن یعنی بنی اسرائیلن اوس عادت کہ تمِ آسِ پریتھ کتھہِ پیٹھ شبہات پیش کران۔ چنانچہ اَتھ موقعس پیٹھ تہٕ کور تمو یہ شبہ پیش کہ اَسہِ کتھہ پاٹھۍ سپدہ یقین کہِ یم احکام کیا چھہِ واقعی اللہ تعالیٰ

قَوْمَهٗ سَبْعِيْنَ رَجُلًا لِّمِيْقَاتِنَا ۚ فَلَمَّآ اَخَذَتْهُمُ الرَّجْفَةُ قَالَ رَبِّ لَوْ شِئْتَ اَهْلَكْتَهُمْ مِّنْ قَبْلُ وَاِيَّايَ ؕ اَتُهْلِكُنَا بِمَا فَعَلَ السُّفَهَآءُ مِنَّا ۚ اِنْ هِيَ اِلَّا فِتْنَتُكَ ؕ تُضِلُّ بِهَا مَنْ تَشَآءُ وَتَهْدِيْ مَنْ تَشَآءُ ؕ اَنْتَ وَلِيُّنَا فَاغْفِرْ لَنَا وَارْحَمْنَا وَاَنْتَ خَيْرُ الْغٰفِرِيْنَ ﴿۱۵۵﴾

---

سِندي احکام۔ اَسهِ تهِ ونِ پاڻ الله تعالیٰ ڀُتھ اَسهِ پورہ يقين سِپڊہ چنانچہ حضرتِ مُوسیٰ اَن کرہ الله تعالیٰ اَس نشہِ يہِ کتھ پيش تورہ سِپدُ کھ حُکم تمو بنی اسرائيلو اَندرہ کريُو کھ منتخب کينہہ لُوکھ تمِ اَنِيُو کھ پانس سيت کوہِ طُورس پيٹھ۔ يُوونہ تمنِ پانہ کہِ واقعی چھہِ تمِ ميانِ احکام تو پتہ آو تمہِ خيطرہ اکھ وقت مُقرر کرنہ وَاخْتَارَ مُوْسٰى قَوْمَهٗ سَبْعِيْنَ رَجُلًا لِّمِيْقَاتِنَا چنانچہ ژارِ تہ منتخب کر حضرتِ مُوسیٰ اَن ستتھ[٧٠] زنِ پننہِ قومہ منزہ سانسِ مُقرر کرتِس وقس پيٹھ اَسہِ نشہِ اننہ خيطرہ چنانچہ توت واتتھ بُوز تمو خدايہِ سُند کلام۔ خدايہِ سُند کلام بُوزِ تھ لگِ وننہِ اَسہِ کتھہِ پاڈھ بہہ کہِ يہ چھو خدايہِ سُند وی کلام لہٰذا ايُو تتان نہ اَسِ وارہ کارہ پتہ نيوا چھو الله تعالیٰ ڈچھن تو تتانِ گرونہ اَسِ يڑھ امہِ گستاخی سببہ آو تمن بُنِيل۔ ہرِ کُن پيکھ ترٹھ۔ ساری گئے تتھی روُزِ تھ فَلَمَّآ اَخَذَتْهُمُ الرَّجْفَةُ اَدہ يلہِ تمِ بنی اسرائيل رٹِ بُنلِ قَالَ رَبِّ حضرت مُوسیٰ اَن کور عرض ای ميانہِ پروردگارہ مہِ چھو معلومی کہِ تمنِ لُوکن چھو سزا ديُن منظور، ہلاک کرن مقصُود، چھونہ کيازِہ لَوْ شِئْتَ اَهْلَكْتَهُمْ مِّنْ قَبْلُ وَاِيَّايَ ہرگاہ ژيہ تہِ منظور آسہی تلہِ کرہ ہکھ ژہ برونٹھی تمِ ساری ہلاک۔ مہِ تہ کرہ ہک ہلاک تمنی سيت اَتُهْلِكُنَا بِمَا فَعَلَ السُّفَهَآءُ مِنَّا کياژہ کرکھ کينژن احمقن ہندِ اکہ حرکتہ سيت اسہِ سارنی ہلاک اِنْ هِيَ اِلَّا فِتْنَتُكَ يہِ واقعہ چھونہ مگر چانِ اکھ آزمايشِ تہِ امتحانہ تُضِلُّ بِهَا مَنْ تَشَآءُ وَتَهْدِيْ مَنْ تَشَآءُ تتھيو امتحانو سيتِ يمِ ژيہ خوش کرہ نےَ تمِ کرہ ہکھ گُمراہ تمِ ژيہ خوش کرنے تمِ تھاو ہکھ ہدايتس پيٹھ اَنْتَ وَلِيُّنَا فَاغْفِرْ لَنَا وَارْحَمْنَا وَاَنْتَ خَيْرُ الْغٰفِرِيْنَ ژی چھو کھ سُون مالک پس کر ژہ اسہِ مغفرت۔ اَسہِ دِہ مُعافی۔ بيہ کر اَسہِ پيٹھ رحم۔ ژی چھوک رُت مغفرت کرہ ڈن تہ گُنہن مغفرت کرہ ونيو اَندرہ سيٹھاہ بہتر۔ بنی اسرائيلو اَندرہ تمو يہِ گستاخی کر تمن تہِ دِہ معافی۔ چنانچہِ تمِ ساری گے بيہ زِندہ اَتھ دُعاءس سيت گُر حضرتِ مُوسیٰ اَن يہ بيا کھ دُعا تہِ بنی

وَاكْتُبْ لَنَا فِيْ هٰذِهِ الدُّنْيَا حَسَنَةً وَّفِي الْاٰخِرَةِ اِنَّا هُدْنَاۤ اِلَيْكَ ؕ قَالَ عَذَابِيْۤ اُصِيْبُ بِهٖ مَنْ اَشَآءُ ۚ وَرَحْمَتِيْ وَسِعَتْ كُلَّ شَيْءٍ ؕ فَسَاَكْتُبُهَا لِلَّذِيْنَ يَتَّقُوْنَ وَيُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَالَّذِيْنَ هُمْ بِاٰيٰتِنَا يُؤْمِنُوْنَ ۚ ﴿۱۵۶﴾ اَلَّذِيْنَ يَتَّبِعُوْنَ الرَّسُوْلَ النَّبِيَّ الْاُمِّيَّ الَّذِيْ يَجِدُوْنَهٗ مَكْتُوْبًا عِنْدَهُمْ فِي التَّوْرٰىةِ وَالْاِنْجِيْلِ يَاْمُرُهُمْ بِالْمَعْرُوْفِ

---

اسرائیلن ہندِ حقہٕ وَاكْتُبْ لَنَا فِيْ هٰذِهِ الدُّنْيَا حَسَنَةً وَّفِي الْاٰخِرَةِ بیہ لیکھ سانہِ خیطرٕ دُنیاءس اَندرتہٕ رُت حال بیہ آخرِ تَس اندرتہٕ رُت حال اِنَّا هُدْنَاۤ اِلَيْكَ کیازِہ پزپاٹھ اَسہِ کور خلوصہ سان ژےٚ کُن رجوع۔ دُنیاو آخرتُک خیر ژھونڈ حضرتِ موسیٰ اَن پننہِ امتہ خیطرٕ۔ اَمہِ اَندرٕ اوس تہنٛد مقصد کہ میانی اُمت کرِ تن سارنِ اُمتن ہنز سردارتہٕ مافوق قَالَ اللہ تعالیٰ اَن فرموو کھ عَذَابِيْۤ اُصِيْبُ بِهٖ مَنْ اَشَآءُ میون عذاب تہٕ غضب یُس چھُو سوواتناوہ بو تس یس یُوژھ وَرَحْمَتِيْ وَسِعَتْ كُلَّ شَيْءٍ میانِ رحمت چھےٚ تیژ عام۔ واتتھِ چھےٚ سوپرتھ چیزس فَسَاَكْتُبُهَا سارِوی اَندرٕ کرن بو تمہِ رحمتہ سیتِ خاص سُوی اُمت بیہ لیکھ بُو سو رحمت تمنی لُوکن ہندِ خیطرٕ لِلَّذِيْنَ يَتَّقُوْنَ وَيُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَالَّذِيْنَ هُمْ بِاٰيٰتِنَا يُؤْمِنُوْنَ یم خدایس کھوژن۔ بیہ آسَن مالٕچ زکوٰۃ دِوان۔ بیہ تمِ آسَن سانیٚن آیاتن پژھ کران یعنی تمن ہندِ اعمال وافعال واعتقادات دُرست آسَن۔ اَتھ منز اوس احتمال کہِ یہُودن اَندر تہٕ مانیرہ ہَن بعض اشخاص تمن پیٹھ یہِ تعریف صادق ییہِ ہا۔ اللہ تعالیٰ ان فرموٗ مزید توضیح خیطرٕ کہ اُمت چھےٚ حضرتِ پیغمبر آخر الزمانہ سنزی اُمت۔ یمن خیریت دُنیاو آخرت اللہ تعالیٰ ان عطا کور اَلَّذِيْنَ يَتَّبِعُوْنَ الرَّسُوْلَ النَّبِيَّ الْاُمِّيَّ تمن لُوکن یم پتہ پتہ آسن پکان، مُتابعت آسن کران تَس پیغمبرس، یُس رسُول تہِ چھُو، نبی تہِ چھُو یم نہ کانسہِ نشہِ نہ پرمُت چھُو کینہہ نہ ہیو چھُمت چھُو کینہہ اَلَّذِيْ يَجِدُوْنَهٗ مَكْتُوْبًا عِنْدَهُمْ فِي التَّوْرٰىةِ وَالْاِنْجِيْلِ تَس پیغمبرس یَس تمِ لُوکھ لبان چھےٚ

وَيَنْهٰىهُمْ عَنِ الْمُنْكَرِ وَيُحِلُّ لَهُمُ الطَّيِّبٰتِ وَيُحَرِّمُ عَلَيْهِمُ
الْخَبٰٓئِثَ وَيَضَعُ عَنْهُمْ اِصْرَهُمْ وَالْاَغْلٰلَ الَّتِيْ كَانَتْ
عَلَيْهِمْ ؕ فَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِهٖ وَعَزَّرُوْهُ وَنَصَرُوْهُ وَ
اتَّبَعُوا النُّوْرَ الَّذِيْٓ اُنْزِلَ مَعَهٗٓ ۙ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ ﴿١٥٧﴾
قُلْ يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اِنِّيْ رَسُوْلُ اللّٰهِ اِلَيْكُمْ جَمِيْعًا
اِۨلَّذِيْ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۚ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ يُحْيٖ

---

پانس نشہِ پنہ نین کتابَن توراتس تہ انجیلس اَندر لیکھنہ آمُت یعنی نعت تہ صِفت تہند کرنہ آمُت۔ تمہِ علاوہ چھُو تہُند صِفت يَاْمُرُهُمْ بِالْمَعْرُوْفِ وَيَنْهٰىهُمْ عَنِ الْمُنْكَرِ سُو پیغمبر بر حق چھُو تمن نیکین ہُند حُکم کران۔ بیہ چھُوک بدِ یو نشہِ منع کران وَيُحِلُّ لَهُمُ الطَّيِّبٰتِ وَيُحَرِّمُ عَلَيْهِمُ الْخَبٰٓئِثَ بیہ چھِکھ رتِ رت تہ پاک چیز حلال کران یم تمن پیٹھ حرام آس۔ بیہ چھُو تمن پیٹھ ناپاک تہ گندہ چیز حرام کران وَيَضَعُ عَنْهُمْ اِصْرَهُمْ والان تمنِ پیٹھ تہندِ گوبِ بار یعنی تم سخت اَحکام یم تمنِ پیٹھ نافذ کرنہ آمتِ آس وَالْاَغْلٰلَ الَّتِيْ كَانَتْ عَلَيْهِمْ بیہ احکامَن ہنزہ تمہِ سختیہ یمہ تمن پیٹھ آسہ برو نٹھمین شریعتَن اَندر فَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِهٖ وَعَزَّرُوْهُ وَنَصَرُوْهُ پَس تمِ لُوکھ یمو پژھ کراَمس پیغمبرس بیہِ کرہکھ حمایت تہ مَدد وَاتَّبَعُوا النُّوْرَ الَّذِيْٓ اُنْزِلَ مَعَهٗٓ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ بیہِ کرکھ مُتابعت تتھ نُورس یُس نُور تمن سیتِ نازِل آو کرنہ یعنی کِتاب و سنت، قرآنِ مجید تہ حدیثِ شریف تمے لُوک چھِ رستگار تہ کامیاب تمِ عذابِ اَبدی نشہِ محفُوظ رُوزن قُلْ يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اِنِّيْ رَسُوْلُ اللّٰهِ اِلَيْكُمْ جَمِيْعًا فرماویُو کھ تہہ یا رسُول اللہ اَی تمام دُنیا کیو لُوکو بزپاٹھ بو چھُس پیغمبر خدا تُوہہِ سارنی کُن۔ اِۨلَّذِيْ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ تَس خدایہ سندہ طرفہ یسنز حکومت تہ بادشاہی سارنی آسمانن تہ زمینَن منز چھہ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ تَس ورای چھُو نہ عباد تَس سزاوار کانہہ اکھ يُحْيٖ وَيُمِيْتُ سُوی چھُو زندگی عطا کران تہ سُوی چھُو ماران فَاٰمِنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهِ النَّبِيِّ الْاُمِّيِّ پَس کرِو پژھ اَمسی

وَيُمِيتُ فَآمِنُوا بِاللَّهِ وَرَسُولِهِ النَّبِيِّ الْأُمِّيِّ الَّذِي
يُؤْمِنُ بِاللَّهِ وَكَلِمَاتِهِ وَاتَّبِعُوهُ لَعَلَّكُمْ تَهْتَدُونَ ﴿١٥٨﴾ وَ
مِنْ قَوْمِ مُوسَىٰ أُمَّةٌ يَهْدُونَ بِالْحَقِّ وَبِهِ يَعْدِلُونَ ﴿١٥٩﴾
وَقَطَّعْنَاهُمُ اثْنَتَيْ عَشْرَةَ أَسْبَاطًا أُمَمًا ۚ وَأَوْحَيْنَا إِلَىٰ
مُوسَىٰ إِذِ اسْتَسْقَاهُ قَوْمُهُ أَنِ اضْرِب بِّعَصَاكَ الْحَجَرَ ۖ
فَانبَجَسَتْ مِنْهُ اثْنَتَا عَشْرَةَ عَيْنًا ۖ قَدْ عَلِمَ كُلُّ أُنَاسٍ

---

کُنِس خدایَس بیہِ تِسندِس اُمّی پیغمبرَس یُس اَن پَرہ پیغمبر چھُو الَّذِي يُؤْمِنُ بِاللَّهِ وَكَلِمَاتِهِ تِم پانہ
کُنِس خدایَس بیہِ تہندیَن حُکمَن پٔژھ کرمُت چھُہ۔ یعنی باوجودِ یتھ تھود مرتبہ آسِتھ چھُونہ تِمَن خدایَس،
خدایہِ سندین پیغمبرن تہٕ کتابَن ایمان انہ نَس منز کانہہ عارہ۔ ای لُوکو تُہہ کیازِہ چھُوہ خُدایَس تہٕ تہندِس
پیغمبرَس پٔژھ کرنَس تہٕ ایمان انہ نَس منزٕ اِنکار کران وَاتَّبِعُوهُ لَعَلَّكُمْ تَهْتَدُونَ بیہِ کروامِس پیغمبرہ
سنز مُتابعت دیوہ تُہہ وَتھ لبِو راہِ راستس پیٹھ اِیِو۔ بعضی لُوکو کرامِس پیغمبر برحقہ سنز مُخالفت مگر وَمِنْ
قَوْمِ مُوسَىٰ أُمَّةٌ يَهْدُونَ بِالْحَقِّ وَبِهِ يَعْدِلُونَ بیہِ چھَہ حضرتِ موسیٰ سندِہ قومہ منزہ اکھ جماعتھاہ
پزِچ۔ دینِ حقچ یعنی اِسلامچ وَتھ ہاوان۔ بیہِ چھَہ تمی پزِہ سیتی پنہ نین مُعاملاتن تہٕ بین لُوکن ہندین
مُعاملاتن اَندر عدل وانصاف تہِ کران وَقَطَّعْنَاهُمُ اثْنَتَيْ عَشْرَةَ أَسْبَاطًا أُمَمًا اَسہِ کور اکھ انعام بنی
اسرائیلن پیٹھ یہِ تہٕ کہِ تمِن منز اصلاح وانتظام قایم کرنہ خیطرہ کرِہ اَسہِ تمنِ الگ الگ بَہَن بڈین ہندِ اولاد
آسنکہِ مُناسبتہ باہ حصہ تہٕ باہ قبیلہ پریتھ اکس قبیلس کور اَسہِ اکھ اکھ سرداراہ مُقرر تہندِہ نگرانی خیطرہ
وَأَوْحَيْنَا إِلَىٰ مُوسَىٰ إِذِ اسْتَسْقَاهُ قَوْمُهُ أَنِ اضْرِب بِّعَصَاكَ الْحَجَرَ بیاکھ اِنعام کُور اَسہِ تمنِ کہِ
سُوز اَسہِ وَحی حضرتِ موسیٰ اَس گُن یلہِ تمنِ نشہِ پننِ قومن آب ژھونڈ۔ تمِو مُونگ دُعا خدایَس آبہ
خیطرہ۔ اللہ تعالیٰ اَن فرموُکھ کہِ ژنڈ دِیوِ پننہِ اَمہِ لُورِہ سیت فلانِ کَنہِ ادہ یلہِ تمو تتھ کَنہِ ژنڈِ دِژ
فَانبَجَسَتْ مِنْهُ اثْنَتَا عَشْرَةَ عَيْنًا اَتی پھٹِ تمِ کَنہِ منزہ باہ ناگ راد۔ تمی بنی اسرائیلن ہنزِہ بَہَن

مَّشْرَبَهُمْ ۚ وَظَلَّلْنَا عَلَيْهِمُ الْغَمَامَ وَأَنزَلْنَا عَلَيْهِمُ
الْمَنَّ وَالسَّلْوَىٰ ۖ كُلُوا مِن طَيِّبَاتِ مَا رَزَقْنَاكُمْ ۚ وَ
مَا ظَلَمُونَا وَلَٰكِن كَانُوا أَنفُسَهُمْ يَظْلِمُونَ ﴿١٦٠﴾ وَإِذْ قِيلَ
لَهُمُ اسْكُنُوا هَٰذِهِ الْقَرْيَةَ وَكُلُوا مِنْهَا حَيْثُ
شِئْتُمْ وَقُولُوا حِطَّةٌ وَادْخُلُوا الْبَابَ سُجَّدًا نَّغْفِرْ
لَكُمْ خَطِيئَاتِكُمْ ۚ سَنَزِيدُ الْمُحْسِنِينَ ﴿١٦١﴾ فَبَدَّلَ

---

قبیلن ہنزِ ہ گرنز قَدْ عَلِمَ كُلُّ أُنَاسٍ مَّشْرَبَهُمْ چنانچہِ پرِیتھ قبیلن پرِ زہ نوو پُنن پُنن گھاٹ تہ یارہ بَل یعنی آب حاصِل کرنچ جاے وَظَلَّلْنَا عَلَيْهِمُ الْغَمَامَ وَأَنزَلْنَا عَلَيْهِمُ الْمَنَّ وَالسَّلْوَىٰ بیاکھ اِنعام کُوراسہِ تمنِ پیٹھ یِہ کہ تروواَسہِ تمنِ پیٹھ اَبُرک سایہِ۔ بیاکھ انعام کوراَسہِ تمن پیٹھ کہ آسمانہ ڈول اَسہِ تھندِہ کھینہ خیطرہ خزانہ غیبہ منزہ آسمانی خوانچہ یِتھ منز تیار کرِ تھ اوس آسان باڑ مازہ تہ ترنجبین۔ وننہ اُوسُکھ یِوان كُلُوا مِن طَيِّبَاتِ مَا رَزَقْنَاكُمْ کھیوِ تمو نفیس چیز وَ منزہ یِم اَسہِ توہہِ عطا کروہ مگراَتھ منز تہ کر تمو سانِس حُکمس بَرخلافی۔ وَمَا ظَلَمُونَا وَلَٰكِن كَانُوا أَنفُسَهُمْ يَظْلِمُونَ تمہِ نافرمانی سیت تمو اَسہِ کانہہ نُقصان واتنوڈنہ، بلکہ آسِ تم پانِ پانس ظُلم تہِ نقصان واتناوان وَإِذْ قِيلَ لَهُمُ اسْكُنُوا هَٰذِهِ الْقَرْيَةَ بیہِ کروِیاد سُو وقت یلہِ اَسہِ بنی اسرائیلن حُکم کُور بسو یِتھ شہرس منز یِتھ ناو چھواریجا وَكُلُوا مِنْهَا حَيْثُ شِئْتُمْ بیہِ کھیواَتھ شہرس منز یمہِ جایہِ توہہِ خوش کرہِ وَقُولُوا حِطَّةٌ بیہِ آکھ حُکم گرنہ اَتھ شہرس منز اژان اژان وننِہ حِطہ، یعنی اَسِ چھِ توبہ کران وَادْخُلُوا الْبَابَ سُجَّدًا بیہِ اژزہِ شہر کہ دَروازہ منز کلہ نُو مراوِت عاجزی سان نَّغْفِرْ لَكُمْ خَطِيئَاتِكُمْ تمہِ سیتِ گرواَسِ بخشایش تُھندین برونٹھمین گُنہن سَنَزِيدُ الْمُحْسِنِينَ بیہِ گرو اَسِ نیکوکارن زیادہ مہربانی عطا فَبَدَّلَ الَّذِينَ ظَلَمُوا مِنْهُمْ قَوْلًا غَيْرَ الَّذِي قِيلَ لَهُمْ پَس بدلُوو تمِولو کو یمو تمو اَندرہ ظُلم کوراکھ لفظاہ یُس خِلاف اوس تتھ لفظس یُس تمنِ تجویز کرنہ آیوو۔

الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مِنْهُمْ قَوْلًا غَيْرَ الَّذِيْ قِيْلَ لَهُمْ
فَاَرْسَلْنَا عَلَيْهِمْ رِجْزًا مِّنَ السَّمَآءِ بِمَا كَانُوْا
يَظْلِمُوْنَ ﴿١٦٢﴾ ع وَسْـَٔلْهُمْ عَنِ الْقَرْيَةِ الَّتِيْ كَانَتْ
حَاضِرَةَ الْبَحْرِ اِذْ يَعْدُوْنَ فِي السَّبْتِ اِذْ تَاْتِيْهِمْ
حِيْتَانُهُمْ يَوْمَ سَبْتِهِمْ شُرَّعًا وَّيَوْمَ لَا يَسْبِتُوْنَ لَا
تَاْتِيْهِمْ ۛ كَذٰلِكَ ۛ نَبْلُوْهُمْ بِمَا كَانُوْا يَفْسُقُوْنَ ﴿١٦٣﴾
وَاِذْ قَالَتْ اُمَّةٌ مِّنْهُمْ لِمَ تَعِظُوْنَ قَوْمًا ۙ اللّٰهُ مُهْلِكُهُمْ اَوْ

---

تمن آیہ وننہ کہ حِطۃ وَنیو، تمُک معنی اُوس سانین گنہن سپدِن بخشایش، تتھ بَدل وۄن تموٚ حبۃ فی شعرۃ فَاَرْسَلْنَا عَلَيْهِمْ رِجْزًا مِّنَ السَّمَآءِ بِمَا كَانُوْا يَظْلِمُوْنَ پَس سوٗز اَسہِ تمن پیٹھ عذاباہ آسمانکہِ طرفہ امی وجہہ کہ تمِ آسِ ظُلم کران یعنی تعمیل اَحکام آسِ نہ کران وَسْـَٔلْهُمْ بیہ پرٛژھو تہہ یارسول اللہ اَزکہِ زمانہ کین یہودن عَنِ الْقَرْيَةِ الَّتِيْ كَانَتْ حَاضِرَةَ الْبَحْرِ تمہِ شہرہ کین لوٗکن ہُند حال یمہ شہرُک ناوٚ ایلہ چھُو۔ یُس شہر بحر قلزمہ کِس بٹھِس پیٹھ واقع اُوس۔ شہر مدینس تہ کوہ طورس منز باگ تمہِ شہرک لوکھ آسِ دریاءکِس بٹھس پیٹھ بَسنہ موٗکھ گاڈہ شِکار کران زیادہ۔ تمنی اوٚس بٹہ وارہ دوہ گاڈہ رٹنگ منع آمُت کرنہ اِذْ يَعْدُوْنَ فِي السَّبْتِ یلہِ تمِ بٹہ وارہ دوہ گاڈہ رٹنہ کِس حُکمس اندر حدہ ڈلان آس اِذْ تَاْتِيْهِمْ حِيْتَانُهُمْ يَوْمَ سَبْتِهِمْ شُرَّعًا یلہِ بٹہ وارِہ دۄہ تمن نشہِ گاڈہ تہنزہ یِوان آسہ آبَس پیٹھ ڈوٗ تلتھ کلہ آبہ نشہِ ہیور کھارِتھ وَّيَوْمَ لَا يَسْبِتُوْنَ لَا تَاْتِيْهِمْ بٹہ وارہ وَرائے بَین دوہَن آسہ نہ گاڈہ تمنِ نِکھ یِوان کینہہ۔ تمنِ دوٗہَن آسہ بیس طرفس گۄن گرٛشان كَذٰلِكَ نَبْلُوْهُمْ بِمَا كَانُوْا يَفْسُقُوْنَ یتھے پاٹھِ آسِ اَسِ تمنِ آزمایش کران تکیازِہ تمِ آسِ نافرمان وَاِذْ قَالَتْ اُمَّةٌ مِّنْهُمْ لِمَ تَعِظُوْنَ قَوْمًا اللّٰهُ مُهْلِكُهُمْ اَوْ مُعَذِّبُهُمْ عَذَابًا شَدِيْدًا بیہ

مُعَذِّبُهُمْ عَذَابًا شَدِيدًا ۖ قَالُوا مَعْذِرَةً إِلَىٰ رَبِّكُمْ وَلَعَلَّهُمْ يَتَّقُونَ ﴿١٦٤﴾ فَلَمَّا نَسُوا مَا ذُكِّرُوا بِهِ أَنجَيْنَا الَّذِينَ يَنْهَوْنَ عَنِ السُّوءِ وَأَخَذْنَا الَّذِينَ ظَلَمُوا بِعَذَابٍ بَئِيسٍ بِمَا كَانُوا يَفْسُقُونَ ﴿١٦٥﴾ فَلَمَّا عَتَوْا عَن مَّا نُهُوا عَنْهُ قُلْنَا لَهُمْ كُونُوا قِرَدَةً خَاسِئِينَ ﴿١٦٦﴾ وَإِذْ تَأَذَّنَ رَبُّكَ لَيَبْعَثَنَّ عَلَيْهِمْ إِلَىٰ يَوْمِ الْقِيَامَةِ مَن يَسُومُهُمْ سُوءَ الْعَذَابِ ۗ إِنَّ رَبَّكَ لَسَرِيعُ

---

پر ڏهيُو کھ حض تمہِ وقتُگ حال تہ يلہِ تمو بني اسرائيلو اندره اکِ جماعتن ڏون تتھ جماعتس يمِ نافرمانَ نصيحت کران آسِ کيازه چھوه تُهه تمنِ لُوکن نصيحت کرنہ سيت پنُن وقت ضائع کران يمن عنقريب الله تعالىٰ نافرماني هندِه سببہ هلاک کره ڤن چھونہ کُڈر عذابہ کره ڤن چھو قَالُوا مَعْذِرَةً إِلَىٰ رَبِّكُمْ وَلَعَلَّهُمْ يَتَّقُونَ تمو نصيحت کره ونيو دِ ڤكھ، اَسِ چھہِ تمنِ نصيحت کران يُتھ اَسِ تهندِس پروردِگارس نشہ عُذر پيش کرتھ برى الذمہ سپدوبيہ ديوه تمن سانہ نصيحت کرنہ سيت کينهہ اَثر سپدِه تہ تمِ روزن بٹہ وارِه ڈوہہ شکار کرنہ نشہِ پتھ فَلَمَّا نَسُوا مَا ذُكِّرُوا بِهِ پَس يلہِ تمن موٗڈھ تہِ سوٗرُوي يمہِ سيت تمن وعظ تہ نصيحت کرنہ يوان اُوس يعني تمِ رُودِنہ پتھ نافرماني نشہِ أَنجَيْنَا الَّذِينَ يَنْهَوْنَ عَنِ السُّوءِ اَسہِ ديُت نجات تمن تمِ امہِ پچھ کامہِ نشہِ تمن منع کران آسِ وَأَخَذْنَا الَّذِينَ ظَلَمُوا بِعَذَابٍ بَئِيسٍ تمن نجات دِتھ کرِ اَسہِ گرفتار تمِ لُوکھ يمو ظلم کور سخت پچھ عذابہ سيت بِمَا كَانُوا يَفْسُقُونَ تہِ کيازِه تمِ آسِ نافرماني تہ عدوُلِ حُکمي کران فَلَمَّا عَتَوْا عَن مَّا نُهُوا عَنْهُ پَس يلہِ تمو زياده سرکشي کر باز آي نہ تمو پچھ کاميو نشہِ تمو نشہِ تمن منع کرنہ اُوس يوان قُلْنَا لَهُمْ كُونُوا قِرَدَةً خَاسِئِينَ اَسہِ کور تمنِ مسخ صورت۔ حُکم کور تمنِ کہِ سپدِو واندرذليل وَإِذْ تَأَذَّنَ رَبُّكَ لَيَبْعَثَنَّ عَلَيْهِمْ إِلَىٰ يَوْمِ الْقِيَامَةِ مَن يَسُومُهُمْ سُوءَ الْعَذَابِ بيہ کرِو سوٗ وقت يادِ يلہِ اعلان کوٗر تهندِ پروردِگارن کہ ضرور کرِه مُسلط سوٗ تمن يهوٗدن پيٹھ يمو گستاخي تہ نافرماني کر قيامتکس ڈوہس تانِ تهِين حاکمن يمِ تمن سخت سخت عذابو سيت تکليف واتناوان آسن

الْعِقَابِ ۖ وَإِنَّهُ لَغَفُورٌ رَّحِيمٌ ﴿۱۶۷﴾ وَقَطَّعْنَاهُمْ فِي الْأَرْضِ أُمَمًا ۖ
مِّنْهُمُ الصَّالِحُونَ وَمِنْهُمْ دُونَ ذَٰلِكَ ۖ وَبَلَوْنَاهُم بِالْحَسَنَاتِ
وَالسَّيِّئَاتِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُونَ ﴿۱۶۸﴾ فَخَلَفَ مِن بَعْدِهِمْ خَلْفٌ وَرِثُوا
الْكِتَابَ يَأْخُذُونَ عَرَضَ هَٰذَا الْأَدْنَىٰ وَيَقُولُونَ سَيُغْفَرُ لَنَا
وَإِن يَأْتِهِمْ عَرَضٌ مِّثْلُهُ يَأْخُذُوهُ ۚ أَلَمْ يُؤْخَذْ عَلَيْهِم مِّيثَاقُ
الْكِتَابِ أَن لَّا يَقُولُوا عَلَى اللَّهِ إِلَّا الْحَقَّ وَدَرَسُوا مَا فِيهِ ۗ وَالدَّارُ

---

إِنَّ رَبَّكَ لَسَرِيعُ الْعِقَابِ وَإِنَّهُ لَغَفُورٌ رَّحِيمٌ پزٕ پاٹھِ تہنٛد پروردِگار چھُویلہٕ سۄ یژھ سخت عذاب کرہٕ وُن تہٕ بیہِ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہٕ وُن تس یُس نافرمانی نشہِ باز ایہِ وَقَطَّعْنَاهُمْ فِي الْأَرْضِ أُمَمًا بیہِ گرِہ اَسہِ تمن دنیاءس اندر واریاہ جماژ مِّنْهُمُ الصَّالِحُونَ وَمِنْهُمْ دُونَ ذَٰلِكَ چنانچہ اَڈٕ آسِ تمواندرہ نیکوکار تہٕ بیہِ آسِ اَڈٕ تتھ بدَل یعنی بدکار وَبَلَوْنَاهُم بِالْحَسَنَاتِ وَالسَّيِّئَاتِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُونَ اَسہِ کر تمن بدکارن تہِ آزمایش ریتو چیز وسیتِ۔ صحت تہٕ دولتہ سیتِ بیہِ ییچھ چیز وسیت یعنی بیماری وفقرہ سیت یتھ تمی سیت ییچھ کامیونشہِ پتھ رُوزِتھ اسہِ کُن پھیرن تہٕ رجُوع کرن۔ کیازِ کنہِ چھہ خوشحالی، صحت وغنا باعثِ ہدایت بنان، تہٕ کُنہ چھہ بدحالی تہٕ فقرو بیماری باعثِ عبرت بنان۔ یہ اُوس حال تہندین اسلافن ہُند مگر فَخَلَفَ مِن بَعْدِهِمْ خَلْفٌ وَرِثُوا الْكِتَابَ يَأْخُذُونَ عَرَضَ هَٰذَا الْأَدْنَىٰ پتہٕ سپدِ تمن پتہٕ تہندِ خلف تہٕ جانشین تتھی لُوکھ یمو تورات تمن نشہِ حاصل کر تو پتہٕ آسِ اَمی توراتکِ آیات کُن کُن یمہِ اَدنیٰ زندگی ہُند سامان حاصل کران۔ تو پتہٕ یژھ بدیانتی کرِتھ اَتھہِ کُنہس حقیر زانان وَيَقُولُونَ سَيُغْفَرُ لَنَا بیہِ آس بے پروائی سان وَپان اَسہِ چھُونہ کانہہ پروا۔ اَسہِ سپدِ ہ ساری گُنہن بخشایش کیازِ اَسے چھُو خدایہ سُندپنُو خدایہ سُندیارتہٕ دوست وَإِن يَأْتِهِمْ عَرَضٌ مِّثْلُهُ يَأْخُذُوهُ تم چھہِ پننہِ بے باکی تہٕ گناہ حقیر زانہ نس پیٹھ تیُوت ڈاڈ کرہٕ ون۔ کہ ہرگاہ آیندہ دوبارہ دِین کنہ نس پیٹھ تمن کینہہ مال حاصل سپدِہ سُو کرِن حاصل پتھ روزن نہ تمہِ نشہِ أَلَمْ يُؤْخَذْ عَلَيْهِم مِّيثَاقُ الْكِتَابِ أَن لَّا يَقُولُوا عَلَى اللَّهِ إِلَّا الْحَقَّ وَدَرَسُوا مَا فِيهِ کیاہ تمن

الْاٰخِرَةُ خَیْرٌ لِّلَّذِیْنَ یَتَّقُوْنَ ؕ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿۱۶۹﴾ وَالَّذِیْنَ یُمَسِّكُوْنَ بِالْكِتٰبِ وَاَقَامُوا الصَّلٰوةَ ؕ اِنَّا لَا نُضِیْعُ اَجْرَ الْمُصْلِحِیْنَ ﴿۱۷۰﴾ وَاِذْ نَتَقْنَا الْجَبَلَ فَوْقَهُمْ كَاَنَّهٗ ظُلَّةٌ وَّظَنُّوْۤا اَنَّهٗ وَاقِعٌۢ بِهِمْ ۚ خُذُوْا مَاۤ اٰتَیْنٰكُمْ بِقُوَّةٍ وَّاذْكُرُوْا مَا فِیْهِ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ ﴿۱۷۱﴾ وَ اِذْ اَخَذَ رَبُّكَ مِنْۢ بَنِیْۤ اٰدَمَ مِنْ ظُهُوْرِهِمْ ذُرِّیَّتَهُمْ وَ

---

نشہِ چھنا تمہِ کِتابہ ہندہ یمہِ مضمُونک عہد آمُت ہینہ کہ خدایس کُن لاگن نہ کانہہ کتھاہ واقعی تہ پزِ کتھہ ورای۔ تتھ بدل کم کم اَپزِ چیز نوور اوِ تمو، تے لاگکھ خدایس کُن۔ حالانکہ تمِو پُورسُو عہد نامہ یُس توراتس منز لیکھتھ اوس مگر تموکورنہ دُنیاء ک متاعِ فانی حاصل کرنہ خیطرہ تمیک کانہہ پروا **وَالدَّارُ الْاٰخِرَةُ خَیْرٌ لِّلَّذِیْنَ یَتَّقُوْنَ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ** حالانکہ آخرتُک گھرہ چھُو بہتر تمنِ لُوکن ہندِہ خیطرہ یم خدایس کھوژن۔ تِچھہ کامیہ تہ یِچھ عقاید ونشہِ روزن پتھ۔ اَی یہُودکیاہ توہہ چھنایہ کتھ فکرِہ تران **وَالَّذِیْنَ یُمَسِّكُوْنَ بِالْكِتٰبِ وَاَقَامُوا الصَّلٰوةَ اِنَّا لَا نُضِیْعُ اَجْرَ الْمُصْلِحِیْنَ** بیہ یم لُوک بنی اسرائیلو اَندرہ زورہ تھپھ کرِتھ چھ اتھ کِتابہ یعنی توراتس بیہ چھہِ نمازہ ہنزِ تہِ پابندی کران اَس کرونہ ہرگز تمنِ نیکوکارن ہنز مزور تہ ثواب ضائع۔ یم پانس امہِ طریقہ اِصلاح کرن تہ سنبھالن **وَاِذْ نَتَقْنَا الْجَبَلَ فَوْقَهُمْ كَاَنَّهٗ ظُلَّةٌ وَّظَنُّوْۤا اَنَّهٗ وَاقِعٌۢ بِهِمْ** بیہ پاویُوکھ ژینس یمنِ یہُودن یلہِ اَسہِ کوہ تھودتُل یمن پیٹھ تراونہ خیطرہ۔ تہندین کلن نزدیک تھاوَسا ئبانک پاٹھِ تمنِ سپدُ یقین کہِ یہ پیوا سہِ پیٹھ **خُذُوْا مَاۤ اٰتَیْنٰكُمْ بِقُوَّةٍ وَّاذْكُرُوْا مَا فِیْهِ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ** تتھ حالس اَندر فرموٗکھ اَسہِ کہِ جلد کرِو قبول یہ کِتاب یُوسہ اَسہِ توہہِ عطا کر۔ مضبوطی سان۔ بیہ کرِو تمِ احکام یاد یم اَتھ کِتابہ منز چھہِ یُتھ تُہہ متقی تہ پرہیزگار ہنو تہ نے کرِو تلہِ تراووہ یہ کوہ توہہِ پیٹھ۔ یہ گو خاص عہد یُس بنی اسرائیل کرناونہ آس آمتِ جبراً۔ امہِ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ بیان کران عام عہد یُس ساری بنی آدم انسان آسِ کرناونہ آمتِ **وَ اِذْ اَخَذَ رَبُّكَ مِنْۢ بَنِیْۤ اٰدَمَ مِنْ ظُهُوْرِهِمْ ذُرِّیَّتَهُمْ** بیہ پاویُوکھ ژینس سُو وقت یلہِ تہندِ پروردگارن عالمِ اَرواحس منز حضرتِ آدم علیہ السلام

أَشْهَدَهُمْ عَلَىٰ أَنفُسِهِمْ أَلَسْتُ بِرَبِّكُمْ ۖ قَالُوا بَلَىٰ ۛ شَهِدْنَا ۛ أَن
تَقُولُوا يَوْمَ الْقِيَامَةِ إِنَّا كُنَّا عَنْ هَٰذَا غَافِلِينَ ﴿١٧٢﴾ أَوْ تَقُولُوا إِنَّمَا
أَشْرَكَ آبَاؤُنَا مِن قَبْلُ وَكُنَّا ذُرِّيَّةً مِّن بَعْدِهِمْ ۖ أَفَتُهْلِكُنَا
بِمَا فَعَلَ الْمُبْطِلُونَ ﴿١٧٣﴾ وَكَذَٰلِكَ نُفَصِّلُ الْآيَاتِ وَلَعَلَّهُمْ
يَرْجِعُونَ ﴿١٧٤﴾ وَاتْلُ عَلَيْهِمْ نَبَأَ الَّذِي آتَيْنَاهُ آيَاتِنَا فَانسَلَخَ
مِنْهَا فَأَتْبَعَهُ الشَّيْطَانُ فَكَانَ مِنَ الْغَاوِينَ ﴿١٧٥﴾ وَلَوْ شِئْنَا

---

سندِ پُشتہ منزہ تہند اولاد، تہندین اولادن ہندِ پُشتو منزہ تہندِ اولاد نیبر کڈِ وَأَشْهَدَهُمْ عَلَىٰ أَنفُسِهِمْ
بیہ تھاون تِمے پانِ پانس پیٹھ گواہ۔ سارنِ پرژھُن أَلَسْتُ بِرَبِّكُمْ کیاہ بُو چھُس ناتُہند پروردِگار قَالُوا
بَلَىٰ ساروی دوٗپ بیشک ژٕ چھُک واقعی رَب سُون۔ امہِ وقتہ آسِ حاضر کرنہ آمت ساری ملایک
بیہِ مخلوقات۔ سارِوی دوٗپ شَهِدْنَا اَسِ ساری چھِ امکِ گواہ۔ یہ سوٗروی اِقرار تہ گواہی آیہ رٹنہ
أَن تَقُولُوا يَوْمَ الْقِيَامَةِ إِنَّا كُنَّا عَنْ هَٰذَا غَافِلِينَ یُتھنہ تُہہ ونتھِ ہیکوِ قیامتک دوہ پزپاٹھِ اَس آسِ امہِ
توحیدہ نشہِ بالکل بے خبر أَوْ تَقُولُوا إِنَّمَا أَشْرَكَ آبَاؤُنَا مِن قَبْلُ وَكُنَّا ذُرِّيَّةً مِّن بَعْدِهِمْ بیہ یُتھنہ تُہہ ونتھ
ہیکوِکہِ شرِک کور نہ مگر سانیو مالیو بُڈِ بَبو۔ اَس آسِ تہندِ اولاد تمن پتہ۔ اَسہِ یلہِ وچھِ تمِ یِی کران اَسِ تہِ
پک تہنزی وَتہِ أَفَتُهْلِكُنَا بِمَا فَعَلَ الْمُبْطِلُونَ کیاہ اَسہِ کرکھ ژٕ ہلاک تمنِ غلط کارن ہندِ یچھ
کامہِ سببہ وَكَذَٰلِكَ نُفَصِّلُ الْآيَاتِ وَلَعَلَّهُمْ يَرْجِعُونَ اَسِ چھِ تِتھے پاٹھِ ویژھنا وِتھ پننِ آیات بیان
کران۔ یُتھ تمِ حقیقت معلوم سپدنہ پتہ شرک وکُفرہ نشہِ پتھ روزن وَاتْلُ عَلَيْهِمْ نَبَأَ الَّذِي آتَيْنَاهُ
آيَاتِنَا فَانسَلَخَ مِنْهَا فَأَتْبَعَهُ الشَّيْطَانُ فَكَانَ مِنَ الْغَاوِينَ بیہِ پرِ وہز تمنِ یہو دن پیٹھ تَس شخصہ سُند
قِصہ یَس اَسہِ پنہ نین آیاتن ہُند علم عطا کورمُت اوٗس۔ یعنی بلعم باعورا۔ پَس دراو سُو تمو آیاتو منزہ یعنی
تمنِ آیاتن ہندیو ہدایاتو موجب پکنہ۔ مالِ دُنیاء کِ طمعَن کڈس کل اَو پتہ لگس پتہ شیطانَ۔ پَس سپدُ سُو
ڈلمیو اَندرہ وَلَوْ شِئْنَا لَرَفَعْنَاهُ بِهَا ہرگاہ اَسِ یژھہ ہَو تہود کرہ ہَو تس شخصہ سُند مرتبہ۔ ہرگاہ سُو تمو

لَرَفَعْنٰهُ بِهَا وَلٰكِنَّهٗٓ اَخْلَدَ اِلَى الْاَرْضِ وَاتَّبَعَ هَوٰىهُ ۚ فَمَثَلُهٗ كَمَثَلِ الْكَلْبِ ۚ اِنْ تَحْمِلْ عَلَيْهِ يَلْهَثْ اَوْ تَتْرُكْهُ يَلْهَثْ ؕ ذٰلِكَ مَثَلُ الْقَوْمِ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا ۚ فَاقْصُصِ الْقَصَصَ لَعَلَّهُمْ يَتَفَكَّرُوْنَ ﴿۱۷۶﴾ سَآءَ مَثَلَا ِۨ الْقَوْمُ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَاَنْفُسَهُمْ كَانُوْا يَظْلِمُوْنَ ﴿۱۷۷﴾ مَنْ يَّهْدِ اللّٰهُ فَهُوَ الْمُهْتَدِيْ ۚ وَمَنْ يُّضْلِلْ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ ﴿۱۷۸﴾

---

آیا تو تہ ہدایا تو موجب پچہِ ہا **وَلٰكِنَّهٗٓ اَخْلَدَ اِلَى الْاَرْضِ** مگر سُو سپدُ مایِل تہ خام طمع دُنیاء س کُن **وَاتَّبَعَ هَوٰىهُ** بیہِ پوک سُو پتہ پتہ نفسہ چَن خواہشَن۔ زنانن ہندِ س ونہ نس پیٹھ کرن عمل تہ آیا تو موجُب کرن عمل تراوِن **فَمَثَلُهٗ كَمَثَلِ الْكَلْبِ** آیا تو موجُب عمل کرن تراونہ مُوکھ یُوسہ پریشانی تہ ذلت تس وَلنہ آیہِ تمہِ اعتبارہ چھِہ تسنز مِثال ہُون سنز ہِش مِثال **اِنْ تَحْمِلْ عَلَيْهِ يَلْهَثْ اَوْ تَتْرُكْهُ يَلْهَثْ** ہر گاہ ژہ تَس چِہ کرکھ، تَس پیٹھ حملہ کرکھ، زیو کڈِہ نیبر۔ ہر گاہ چِہ کرہس نہ توتہِ کڈِہ زیو نیبر۔ یعنی یُس چیز ہونسِ آڈرنہِ منز لازِم آمُت آسہِ تھاونہ سُو چیز تراوہ نہ سُو گُنہ حالتس منز۔ یتھے پاٹھِ یُس آڈرنہِ منز خست تہ ذلت تھاونہ آسہِ آمژ سُو تتھ تراوہ نہ کُنہِ صُورتس منز **ذٰلِكَ مَثَلُ الْقَوْمِ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا** یہے چھِہ مثال تمنِ لُوکن ہنز یمو اپزِ زانِ سانِ آیات یمن منز توحید و رسالتچہ دلیلہ چھ **فَاقْصُصِ الْقَصَصَ لَعَلَّهُمْ يَتَفَكَّرُوْنَ** پَس بیان کرِو تمہِ قِصہّ تمَن یہُودَن دیوہ تمِ فکرِہ پین **سَآءَ مَثَلَا ِۨ الْقَوْمُ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا وَاَنْفُسَهُمْ كَانُوْا يَظْلِمُوْنَ** حقیقتس منز چھِہ سیٹھاہ تچھہ مِثال تمنِ لُوکن ہنز یمو سانِ آیات اَپزِ زانِ۔ تمہِ سیت واتنوُکھ نقصان تہ ظُلم پانِ پانَس **مَنْ يَّهْدِ اللّٰهُ فَهُوَ الْمُهْتَدِيْ** یَس اللہ تعالیٰ ہدایت کرہِ سُوی چھُو ہدایت لبہ وُن **وَمَنْ يُّضْلِلْ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ** تمَن سُو وَ تہِ نشہِ ڈالہِ پَس چھِہ تمے اَبدی تاوانَس منز پینہ وال تمَن نشہِ ہدایتُک توقع تھاوُن یا تہنِدِ س بے ہدایت روزہ نَس پیٹھ غمگین سپدُن چھُو بے کار۔ تمِ لُوک یلہِ نہ پننہِ عقلہِ ہندین قوتن کامی چھِہ ہیوان تمنِ کُپارِ بنہ

وَلَقَدْ ذَرَأْنَا لِجَهَنَّمَ كَثِيرًا مِّنَ الْجِنِّ وَالْإِنسِ ۖ لَهُمْ قُلُوبٌ لَّا يَفْقَهُونَ بِهَا وَلَهُمْ أَعْيُنٌ لَّا يُبْصِرُونَ بِهَا وَلَهُمْ آذَانٌ لَّا يَسْمَعُونَ بِهَا ۚ أُولَٰئِكَ كَالْأَنْعَامِ بَلْ هُمْ أَضَلُّ ۚ أُولَٰئِكَ هُمُ الْغَافِلُونَ ﴿۱۷۹﴾ وَلِلَّهِ الْأَسْمَاءُ الْحُسْنَىٰ فَادْعُوهُ بِهَا ۖ وَذَرُوا الَّذِينَ يُلْحِدُونَ

---

ہدایت۔ لہذا اچھہ تھندِہ واتج جای جہنم۔ وَلَقَدْ ذَرَأْنَا لِجَهَنَّمَ كَثِيرًا مِّنَ الْجِنِّ وَالْإِنسِ اسہ چھہ پیدہ کرمتِ جہنمس منز روزنہ خیطرہ واریاہ شخص جنوٓ اندرہ تہ انسانوٓ اندرہ لَهُمْ قُلُوبٌ لَّا يَفْقَهُونَ بِهَا تمنِ ناوہ، خیطرہ دِل چھُو۔ مگر زانُن چھُوک نہ تگان کینہہ۔ تم چھنہٕ تمیک ارادے کران کہ اسہٕ گوژھ فکرہ ترُن کینہہ وَلَهُمْ أَعْيُنٌ لَّا يُبْصِرُونَ بِهَا ناوہ خیطرہ چھہ اچھ تمنِ مگر درنیٹھ چھکھ نہ یوان کینہہ وَلَهُمْ آذَانٌ لَّا يَسْمَعُونَ بِهَا ناوہ خیطرہ چھہ گن تمنِ مگر بوزُن چھکھ نہ تگان کینہہ۔ یژتھ یام کنن گرشھان چھکھ تام چھہٕ گوش دِوان أُولَٰئِكَ كَالْأَنْعَامِ بَلْ هُمْ أَضَلُّ غرض تم لُوکھ چھہٕ آخرتہ نشہٕ بے توجہ آسنس اندر گُپن تہ چارپاہی بلکہ تھندِہ خوتہ یژ ذُلمتِ أُولَٰئِكَ هُمُ الْغَافِلُونَ تمے لُوکھ گئے غافل کیازِہ تمِ چھہِ باوجود حس دِت تہ بے حسی لاگان۔ غفلت چھہ مرضوٓ اندرہ اکھ بوڈ مرضاہ۔ امیک علاج چھُو خدایہ سُند یاد وَلِلَّهِ الْأَسْمَاءُ الْحُسْنَىٰ فَادْعُوهُ بِهَا خدایہ سِی چھہ رتِ رتِ ناوٕ یِس آسوتہٕ ای مسلمانو تموی ناوٕ وسیلت تس آلو دِوان، تُسند یاد کران۔ تمِ چھہٕ حدیث شریفس منز نمہ نمت (۹۹) ناوٕ بیان کرنہ آمت ۔ بیہ چھُو آمت حدیثِ شریفس منزیُس تم اسماء یاد کرہِ سُو ژاوٕ جنتس تمو ناوٕ وسیلت آسیُوس یتھ پاٹھ آلو دوان:

يَا اَللّٰهُ يَارَحمٰنُ يَارَحِيمُ يَامَلِكُ يَاقُدُّوس يَاسَلَامُ يَامُؤمِنُ يَامُهَيمِنُ يَاعَزِيزُ يَاجَبَّارُ يَامُتَكَبِّرُ يَا خَالِقُ يَابَارِئُ يَامُصَوِّرُ يَاغَفَّارُ يَاقَهَّارُ يَارَزَّاقُ يَافَتَّاحُ يَاعَلِيمُ يَاقَابِضُ يَابَاسِطُ يَاخَافِضُ يَارَافِعُ يَامُعِزُّ يَامُذِلُّ يَاسَمِيعُ يَابَصِيرُ يَاحَكَمُ يَاعَدْلُ يَالَطِيفُ يَاخَبِيرُ يَاحَلِيمُ يَاعَظِيمُ يَاغَفُورُ يَاشَكُورُ يَاعَلِيُّ يَاكَبِيرُ يَاحَفِيظُ يَامُقِيتُ يَاحَسِيبُ يَاجَلِيلُ يَاكَرِيمُ يَارَقِيبُ يَامُجِيبُ يَاوَاسِعُ يَاحَكِيمُ يَاوَدُودُ يَامَجِيدُ يَابَاعِثُ يَاشَهِيدُ يَاحَقُّ يَاوَكِيلُ يَاقَوِيُّ يَامَتِينُ يَاوَلِيُّ يَاحَمِيدُ يَامُحصِي يَامُبدِئُ يَامُعِيدُ يَامُحيِي يَامُمِيتُ يَاحَيُّ يَاقَيُّومُ يَاوَاجِدُ

فِيْٓ اَسْمَاۗىِٕهٖ ۭ سَيُجْزَوْنَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ١٨٠ وَمِمَّنْ خَلَقْنَآ اُمَّةٌ يَّهْدُوْنَ بِالْحَقِّ وَبِهٖ يَعْدِلُوْنَ ١٨١ وَالَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا سَنَسْتَدْرِجُهُمْ مِّنْ حَيْثُ لَا يَعْلَمُوْنَ ١٨٢ وَاُمْلِيْ لَهُمْ ۭ اِنَّ كَيْدِيْ مَتِيْنٌ ١٨٣ اَوَلَمْ يَتَفَكَّرُوْا ۫ مَا بِصَاحِبِهِمْ مِّنْ جِنَّةٍ ۭ اِنْ هُوَ اِلَّا نَذِيْرٌ

---

يَامَاجِدُ يَاوَاحِدُ يَاصَمَدُ يَاقَادِرُ يَامُقْتَدِرُ يَامُؤَخِرُ يَاأَوَّلُ يَاآخِرُ يَاظَاهِرُ يَابَاطِنُ يَاوَالِي يَامُتَعَالِي يَابَرُّ يَاتَوَّابُ يَامُنْتَقِمُ يَاعَفُوُّ يَارَؤُوفُ يَامَالِكَ الْمُلْكِ يَاذَا الْجَلَالِ وَالْإِكْرَامِ يَامُقْسِطُ يَاجَامِعُ يَاغَنِيُّ يَامُغْنِي يَامَانِعُ يَاضَارُّ يَانَافِعُ يَانُورُ يَاهَادِي يَابَدِيعُ يَابَاقِي يَاوَارِثُ يَارَشِيدُ يَا صَبُورُ **وَذَرُوا الَّذِيْنَ يُلْحِدُوْنَ فِيْٓ اَسْمَاۗىِٕهٖ** ترا ويو کڻي تن ماڻهن کي ڏڌن ته جيڪي ڦيرائيندا آهن اُن جي نالن اندر يعني الله تعالىٰ اُس جي پاڻ پنهنجي طرف نالا ٺهرايا يا تهندڙ نالو جي تس وراي بين پيٺ استعمال کران يا جيڪي پڇ صفتن هند ناو تس پيٺ اِستعمال کران. تمن سيت مه ٿاوو تعلقي **سَيُجْزَوْنَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ** برونٺ پهن تلن تم نتيجه تميڪ يه تم کران جهِ **وَمِمَّنْ خَلَقْنَآ اُمَّةٌ يَّهْدُوْنَ بِالْحَقِّ وَبِهٖ يَعْدِلُوْنَ** جن ته انسانن اندر جهنهِ ساري ڏلمتي بلڪه جهه سانيو مخلوقو اندره اکه جماعتهاه تم دين حق يعني اِسلامه موجب جهِ لوڪن وَته هاوان بيه جهِ پنه نين لوڪن هندين مُعاملاتن اندر عدل وانصاف کران **وَالَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا سَنَسْتَدْرِجُهُمْ مِّنْ حَيْثُ لَا يَعْلَمُوْنَ** بيه تمو لوکو اپز زانِ سانِ آيات تمِ کهاروکه اُسِ آهسته آهسته نافرمانين اندر سيٺهاه ٿهودتهي پاٺ يتهِ پاٺه نه تمن زانه نُوي تگهِ يُوتانِ تم نار جهنمس نزديک سپدن **وَاُمْلِيْ لَهُمْ ۭ اِنَّ كَيْدِيْ مَتِيْنٌ** بيه دِمه بُو تمن مهلت، جلدي کرکه نه گرفتارِ عذاب دُنياءس اندر. پزپاٺِ مُيون تدبير چُهو سيٺهاه مضبُوط **اَوَلَمْ يَتَفَكَّرُوْا ۫ مَا بِصَاحِبِهِمْ مِّنْ جِنَّةٍ ۭ اِنْ هُوَ اِلَّا نَذِيْرٌ مُّبِيْنٌ** کيا تمو لوکو کرنا غورته فکرکهِ آخرِ آيات اللّٰهن اِنکار کرن. تمه کهِ خراب نتيجه نشهِ غافِل رُوز نگ کياه سبب چُهو. تمِ آيات پيش کرهڊن صاحب نعوذُ بالله بے عقل چُهونه تمن کُنه قسمه مڙر چُهونه، عُمر گيه وه توهمه تمن سيت رُوزِ تهِ تهندِ حالات، تهنز عقل ته گاٺه جار، امانت ته ديانت ڈچهان. تمن چُهو الله تعالىٰ ان عقل کُل عطاکورمُت. تمِ چهنهِ مگر نافرماني هندهِ سزاوعذابه نشهِ لوکن نئن

مُّبِيْنٌ ﴿١٨٤﴾ اَوَلَمْ يَنْظُرُوْا فِيْ مَلَكُوْتِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا خَلَقَ اللّٰهُ مِنْ شَيْءٍ ۙ وَّاَنْ عَسٰٓى اَنْ يَّكُوْنَ قَدِ اقْتَرَبَ اَجَلُهُمْ ۚ فَبِاَيِّ حَدِيْثٍۭ بَعْدَهٗ يُؤْمِنُوْنَ ﴿١٨٥﴾ مَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَلَا هَادِيَ لَهٗ ۭ وَيَذَرُهُمْ فِيْ طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُوْنَ ﴿١٨٦﴾ يَسْــَٔلُوْنَكَ عَنِ السَّاعَةِ اَيَّانَ مُرْسٰىهَا ۭ قُلْ اِنَّمَا عِلْمُهَا عِنْدَ رَبِّيْ ۚ لَا يُجَلِّيْهَا لِوَقْتِهَآ اِلَّا هُوَ ۘ ثَقُلَتْ

---

پاٹھِ بیم کرہ ڈن۔ یہ گو تَس صاحبہ سُند حال یُس صاحب آیات ہیتھ آو۔ وون یُمِس نشہِ ہیتھ آو سُو ذاتِ پاک گو سُوی یُس ساری جہانُک مالِک تہ شہنشاہ مُطلق چھُو اَوَلَمْ يَنْظُرُوْا فِيْ مَلَكُوْتِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا خَلَقَ اللّٰهُ مِنْ شَيْءٍ کیاِ تموٗ چھنا آسمانٕ زمینہٕ کِس اِنتظامَس تہ سلطنتس کُن۔ بیہ تمہِ چیز وَاندرٕ کُنہِ چیزس کُن یَم چیزِ اللہ تعالیٰ اَن پیدہ کرمتِ چھِہ۔ کتھہِ پاٹھ چھُو تہُند اِنتظام مضبوط تہ مُحکم۔ کتھہِ پاٹھِ چھُو پرِیتھ چیزاہ پرِیتھ ذراہ تہُندِس کمالِ قُدرتَس پیٹھ گواہی دِوان۔ یِتھس شہنشاہِ مُطلقہ سندِ اِرشادات یم یِتھس پیغمبر برحقہ سندِہ واسطہ تمن واتمتِ آسَن۔ تمِ شوبہ نہ نظرانداز کرنِ وَّاَنْ عَسٰٓى اَنْ يَّكُوْنَ قَدِ اقْتَرَبَ اَجَلُهُمْ بیہ کرنا تموٗ غور یِتھ کتھ کُن کِہ تہندہ مرنُک وقت ما آسہِ نزدیک ووتمت۔ تمِ کمہِ بُتھہِ ین خدایس برونٹھ کُن۔ لہٰذا اپزہ ہا تمنِ مرنہ پتہ عذابہ نشہِ بچہ نچ صُورت کرن۔ یلہِ نہ قرآن مجیدہ سیتِ، یوسہ سیٹھاہ بڈ مقدس کِتاب چھہ تمنِ کینہہ اثر گژھہِ، یلہِ نہ تمِ قرآن مجیدس ایمان اَنٕ تہ پڑھ کرن فَبِاَيِّ حَدِيْثٍۭ بَعْدَهٗ يُؤْمِنُوْنَ قرآن مجیدہ پتہ کتھ کتھہِ تہ کتھ کلامَس اَنٕ تمِ ایمان مَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَلَا هَادِيَ لَهٗ حقیقت چھہ یہے کہ یُس اللہ تعالیٰ وَتھ راورِہ تَس چھُونہ وَتھ ہاوہ ڈن کانہہ وَيَذَرُهُمْ فِيْ طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُوْنَ اللہ تعالیٰ چھُو تمنِ کافِرن تراوان یلہ یِتھ تمِ سرکشی اَندر سرگردان سپدن۔ تو پتہ دِیکھ سزا اِکھ وَٹہ۔ لہٰذا مہ سپدِن تہُند دِلِ مُبارک غمگین یا رسول اللہ يَسْــَٔلُوْنَكَ عَنِ السَّاعَةِ اَيَّانَ مُرْسٰىهَا پرژھان چھہِ تمِ توہہِ یا رسُول اللہ قیامَتس مُتعلق کہِ کر چھُو تمکہِ برپا سپدُنُک تہ واقع سپدنُک وقت قُلْ اِنَّمَا عِلْمُهَا عِنْدَ رَبِّيْ تہہ فرماویُو کھ تمُیک عِلم چھُونہ میانس پروردِگارس ورای کانسہِ

فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ لَا تَاْتِيْكُمْ اِلَّا بَغْتَةً ۭ يَسْـَٔـلُوْنَكَ كَاَنَّكَ حَفِيٌّ عَنْهَا ۭ قُلْ اِنَّمَا عِلْمُهَا عِنْدَ اللّٰهِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۱۸۷﴾ قُلْ لَّآ اَمْلِكُ لِنَفْسِيْ نَفْعًا وَّلَا ضَرًّا اِلَّا مَا شَاۗءَ اللّٰهُ ۭ وَلَوْ كُنْتُ اَعْلَمُ الْغَيْبَ لَاسْتَكْثَرْتُ مِنَ الْخَيْرِ ۚ وَمَا مَسَّنِيَ السُّوْۗءُ ۚ اِنْ اَنَا اِلَّا نَذِيْرٌ وَّبَشِيْرٌ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ﴿۱۸۸﴾ هُوَ الَّذِيْ

---

لَا يُجَلِّيْهَا لِوَقْتِهَآ اِلَّا هُوَ ظاہر کرہ نہ تتھ قیامَس تہ پنہ نسِ وَقس پیٹھ کانہہ تہِ تس وراے۔ تمکہِ ظہورُک وقت چھُو نہ بیانے کرنہ آمُت کانسہِ نشہِ کیازِہ ثَقُلَتْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ سُو چھُو سیٹھاہ ہُولناک واقعاہ تہ حادِثاہ اکھ آسمان وزمیٖنس منز یعنی تمنِ دوٚن ہندین بسہ ونین پیٹھ لَا تَاْتِيْكُمْ اِلَّا بَغْتَةً امہِ موکھ اِیوہ نہ سو قیامت توہہِ مگر ہنگہ تہ منگہ تھزہ بے خبری منز يَسْـَٔـلُوْنَكَ كَاَنَّكَ حَفِيٌّ عَنْهَا پرژھان تہِ چھہِ تمہِ لُوکھ توہہِ امہِ قیامتُک۔ زَن توہہِ چھِ پُور خبر چھہ قُلْ اِنَّمَا عِلْمُهَا عِنْدَ اللّٰهِ لہذا فرماوِیُو کھ تہہ بصراحت کہِ تمُیک علم چھُونہ کانسہِ خدایَس وراے وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ لیکن اکثر لُوکھ چھنہِ یہ تہ زانانی کہِ بعضی علوم چھہِ اللہ تعالیٰ اَن تھاومت پنہ نسِ خزانہ علمس اَندر محفوظ۔ حضراتِ انبیاءن تہ چھُونہ تمن ہُند تفصیل باونہ آمُت۔ قیامکہِ واضح سپدُنُک خاص وقت تہ چھُو تموی چیز واندرہ اکھ چیز قُلْ لَّآ اَمْلِكُ لِنَفْسِيْ نَفْعًا وَّلَا ضَرًّا اِلَّا مَا شَاۗءَ اللّٰهُ فرماوِیُو کھ تہہ یا رسُول اللہ قیامکہِ مُعاملچ چھنہ کھِی، سُو چھُو مخصوص خدایہ سندی ذاتس سیتِ۔ مہ چھنہ پانس مُتعلق پیٚش اِیوہ ونین حالاتن ہنزہ تہ کینہہ خبر۔ بُو چھُوس نہ مالک تہ اختیارہ ڈول پننہ ذاتہ خطیرہ نہ کُنہ نفعس تہ نہ کُنہ ضررس مگر ترثی ہنہ اِیرثہن اللہ تعالیٰ یَرثھہِ۔ یعنی بُو ہیکہ نہ پنہ نسِ ذاتس کانہہ نفع واتناوِتھ۔ نہ ہیکن پنن ذات کُنہ نقصانہ نشہِ محفوظ تھاوِتھ تہ بچاوِتھ وَلَوْ كُنْتُ اَعْلَمُ الْغَيْبَ لَاسْتَكْثَرْتُ مِنَ الْخَيْرِ ہر گاہ بُو زانان آسہا غیبچ پرِیتھ کتھاہ تلہِ واتناوہا پانس تمہِ تمہِ خیر تہ فائدہ یمہ نہ بُو سورُوی علم غیب نہ آسنہ مُوکھہ واتناوِتھ چھُوس ہکان۔ وَمَا مَسَّنِيَ السُّوْۗءُ تلہِ آسہِ ہانہ مہِ واتان کُنہِ قسمُک تکلیفاہ، نہ آسہِ ہامہِ پیٚش یوان کانہہ

خَلَقَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ وَّجَعَلَ مِنْهَا زَوْجَهَا لِيَسْكُنَ اِلَيْهَا ۚ
فَلَمَّا تَغَشّٰهَا حَمَلَتْ حَمْلًا خَفِيْفًا فَمَرَّتْ بِهٖ ۚ فَلَمَّآ اَثْقَلَتْ
دَّعَوَا اللّٰهَ رَبَّهُمَا لَئِنْ اٰتَيْتَنَا صَالِحًا لَّنَكُوْنَنَّ مِنَ الشّٰكِرِيْنَ ﴿۱۸۹﴾
فَلَمَّآ اٰتٰهُمَا صَالِحًا جَعَلَا لَهٗ شُرَكَآءَ فِيْمَآ اٰتٰهُمَا ۚ فَتَعٰلَى اللّٰهُ
عَمَّا يُشْرِكُوْنَ ﴿۱۹۰﴾ اَيُشْرِكُوْنَ مَا لَا يَخْلُقُ شَيْـًٔا وَّهُمْ يُخْلَقُوْنَ ۚ ﴿۱۹۱﴾

---

ناخوشگوار حالتھاہ اِنْ اَنَا اِلَّا نَذِيْرٌ وَّبَشِيْرٌ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ بُوچھوس محض شریعتُک حُکم واتناوِتھ بیم کرہ وُن۔ تہ بشارت دِوہ وُن تمنِ لُوکن یم پژھ کرن تہ ایمان اَنن نبوتُک اَصل مقصد چھُو تشریعی امُورن ہُند علم آسُن تہ کورمہِ اللہ تعالیٰ اَن عطا بکمال پتھ رُودِ اُمورتکوینین ہُند علم سُو چھُونہ نبوتہ کیو لوازمو اَندرہ۔ تمہِ اَندرہ ایژہَن اللہ تعالیٰ اَن یُوژھ تیژ ہَن کرن عطا زورہ تہ زبردستیِ سیت ہیکونہ سو کانہہ اکھ خدایس نشہِ حاصِل کرِتھ هُوَ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ سُو پروردگار گو سُوی یمِ توہ پیدہ کروَہ اکی ذاتہ نشہِ، سُو گو حضرتِ آدم علیہ السلام وَّجَعَلَ مِنْهَا زَوْجَهَا تمی اکہِ ذاتہ منزہ کورُن پیدہ جورہ تہُند یعنی حضرتِ حواء لِيَسْكُنَ اِلَيْهَا یُتھ سو الفت تہ قرار رٹہِ تَس سیتِ فَلَمَّا تَغَشّٰهَا حَمَلَتْ حَمْلًا خَفِيْفًا فَمَرَّتْ بِهٖ اَدہ یلہِ دَر کمالِ لُطف وانبساط حضرت آدمن پان پنُن ژول حضرت حواءس یعنی ہمبستری کرن تَس سیت سو سپز باردار، یُس حمل ابتداءس اَندر لوتوی اُوس، چنانچہ سُو ہیتھ آس سو اورہ یور پکتھ ہیکان فَلَمَّآ اَثْقَلَتْ تمہِ پتہ یلہ بچہِ سندِہ دوہہ خوتہ دوہہ بڈنہ سیت سو گو بے یہِ تمِ لگِ دوشوِے بانبرنہ۔ دپنہِ لگ یہِ کیاہ سنا قصہِ چھُو۔ دَّعَوَا اللّٰهَ رَبَّهُمَا دُوشوی باژو مُونگ اللہ تعالیٰ اَس یعنی پننہ نسِ پروردگارس یہِ مُشکل گوژھ آسان سپدُن لَئِنْ اٰتَيْتَنَا صَالِحًا لَّنَكُوْنَنَّ مِنَ الشّٰكِرِيْنَ دپنہِ لگِ سانہِ پروردگارہ ہرگاہ ژہ اَسہِ عطا کرہَن رُت فرزند اہ اسِ سپدَو ضرور شُکر گذارو اَندرہ فَلَمَّآ اٰتٰهُمَا صَالِحًا پَس یلہِ اللہ تعالیٰ اَن رُت صحیح وسالم فرزند عطا کُرنک جَعَلَا لَهٗ شُرَكَآءَ فِيْمَآ اٰتٰهُمَا اَتی لگِ بنی آدم خدایس شریک ٹھہراونہ اَتھ مہربانی اندر یوسہ مہربانی سُو عطا اوسکھ

وَلَا يَسْتَطِيعُونَ لَهُمْ نَصْرًا وَلَآ أَنفُسَهُمْ يَنصُرُونَ ﴿١٩٢﴾ وَإِن تَدْعُوهُمْ إِلَى الْهُدَىٰ لَا يَتَّبِعُوكُمْ ۚ سَوَآءٌ عَلَيْكُمْ أَدَعَوْتُمُوهُمْ أَمْ أَنتُمْ صَامِتُونَ ﴿١٩٣﴾ إِنَّ الَّذِينَ تَدْعُونَ مِن دُونِ اللَّهِ عِبَادٌ أَمْثَالُكُمْ ۖ فَادْعُوهُمْ فَلْيَسْتَجِيبُوا لَكُمْ إِن كُنتُمْ صَادِقِينَ ﴿١٩٤﴾ أَلَهُمْ أَرْجُلٌ يَمْشُونَ بِهَآ ۖ أَمْ لَهُمْ أَيْدٍ يَبْطِشُونَ

---

کران فَتَعٰلَى اللّٰهُ عَمَّا یُشْرِكُوْنَ اللہ تعالیٰ چھو سیٹھاہ بُلند تہ بالا منزہ تہ پاک تمِو ساروی شرکچو کتھو نشہِ یمہ تَس کُن بنی آدم لاگان چھہ۔ اَیُشْرِكُوْنَ مَا لَا یَخْلُقُ شَیْـًٔا وَّهُمْ یُخْلَقُوْنَ کیاہ تمِ بنی آدم چھا تَس تمِہ چیز شریک ٹھہراوان یمہ کینہہ تہ ہیکن پیدہ کرِ تھ۔ تمِ چھِ پانہ مخلوق پیدہ کرنہ آمتِ۔ معبودہیکہِ آستھ سوٗی یُس نہ پانہ مخلُوق آسہ وَلَا یَسْتَطِیْعُوْنَ لَهُمْ نَصْرًا وَّلَاۤ اَنْفُسَهُمْ یَنْصُرُوْنَ بیہِ ہیکن نہ تم معبُودانِ باطِل تمِوٚ اَندرہ کانسہِ اکِ سنزیاری کرِ تھ۔ نہ ہیکن تمِ پنہ نسِ پانس کانہہ یاری کر تھ بین یاری کرنچ کیاہ چھہ کتھی وَاِنْ تَدْعُوْهُمْ اِلَى الْهُدٰى لَا یَتَّبِعُوْكُمْ کم ہرگاہ تُہہِ تمن معبُودانِ باطلن کُنہِ کامہِ خیطرہ ناد دِیو تمِ تہندِس آلوس تہ نادس اجابت ہیکن نہ کر تھ سَوَآءٌ عَلَیْكُمْ اَدَعَوْتُمُوْهُمْ اَمْ اَنْتُمْ صَامِتُوْنَ تہندہِ خیطرہ چھہِ دوشوِے اَمر برابری۔ تُہہِ تمن ناد دیتو تہ تمِ تہند آلو بُوزن نہ یاژھوپہ کرِ تھ روزِ تو تلہِ چھنہ کتھی اِنَّ الَّذِیْنَ تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ عِبَادٌ اَمْثَالُكُمْ اَی مُشرِکو پزِ پاٹھِ تمن تمنِ ہنز تُہہ عبادت تہ پرستش کران چھوِہ خدالیس ورای تمِ چھہِ تُہندی پاٹھِ خدایہِ سند مملُوک تہ بندہ، پانہ خدایہ سی کُن مُحتاج پریتھ چیزس اندر تُہندی پاٹھ فَادْعُوْهُمْ فَلْیَسْتَجِیْبُوْا لَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ پَس دیتو تُہہ تمن ناد تمنِ پزِہ تہندِس تتھ نادس اجابت کرنِ چھوِے تُہہ تہندِس معبُود آسنکس اعتقادس اندر پزِ زیرِ تہندِس آلوس کیاہ کرن تمِ اجابت تمن چھنہ تمِ تان پورُ تمو سیت کام چھہ یوان کرنہ وچھتو اَلَهُمْ اَرْجُلٌ یَّمْشُوْنَ بِهَاۤ اَمْ لَهُمْ اَیْدٍ یَّبْطِشُوْنَ بِهَاۤ اَمْ لَهُمْ اَعْیُنٌ یُّبْصِرُوْنَ بِهَاۤ اَمْ لَهُمْ اٰذَانٌ یَّسْمَعُوْنَ بِهَا تُہہ وچھتو وارہ کیاہ کھور چھا تمن تمو سیت پکہ ہَن

بِهَآ اَمْ لَهُمْ اَعْيُنٌ يُّبْصِرُوْنَ بِهَآ اَمْ لَهُمْ اٰذَانٌ يَّسْمَعُوْنَ بِهَا ؕ قُلِ ادْعُوْا شُرَكَآءَكُمْ ثُمَّ كِيْدُوْنِ فَلَا تُنْظِرُوْنِ ﴿١٩٥﴾ اِنَّ وَلِيِّۦَ اللّٰهُ الَّذِيْ نَزَّلَ الْكِتٰبَ ۖ وَهُوَ يَتَوَلَّى الصّٰلِحِيْنَ ﴿١٩٦﴾ وَالَّذِيْنَ تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖ لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ نَصْرَكُمْ وَلَآ

---

تم کياه اُنهه ڇها تن سان سيت رٿهہ ھيکه ھُن ڪينهہ کياه اُڇهہ ڇها تن سان سيت وِڇهھ ھيکه ھَن۔ کياه گُن ڇها تن سان سيت بُوز تهہ ھيکه ھَن کينهہ۔ يلہ نہ تمِ قوت تن اندر موجود ڇهہ لهذا کوسہ کوم ھيکن تمِ تهنز کرِ تهہ قُلِ فرماويو کهہ تهہ يہ کتهہ تہِ يار سول اللّٰہ کہ يتهہ پاٹهہ تم معبودان باطل پنہ نين پرستش کرہ وِنين کانهہ نفع واتناوُنس منز عاجز ڇهہ تتهے پاٹهہ ڇهہ پرستش نہ کرہ وِنين کانهہ ضرر واتناوُنس اَندر تہ سخت عاجز بُوڇهوس تمن پرستش کرہ نَس سخت منکر۔ ھرگاہ تمن اتهہ کينهہ ڇهوتهہ کڈ توپنہ دِلک ارمان اُدْعُوْا شُرَكَآءَكُمْ تهہ ديوِناد تمن پنہ نين سارنی شريکن تمِ تهہ معبود بر حقس ڇهوکهہ شريک ٹهراوان ثُمَّ كِيْدُوْنِ توپتہ کرتوھہ ساری تمن سيت رلتهہ ميلتهہ يہ تکليف مہ ضرر واتاونہ کين تدابيرن اَندر کوشش توپتہ يلہ توھہ کينهہ پکہ فَلَا تُنْظِرُوْنِ تمہ ساتہ مَتہ ديتوٗمہ اکھ ذرہ تہ مُهلت۔ بلکہ گرڇهہ ميہ پيٹهہ تہ سورُوی فوراً چلاوُن يہ توھہ مشورہ کرِ تهہ مقرر آسوہ کورمُت۔ بُوتہ وِڇهہ کياھيکوتهہ تہ تهندِ معبودان باطل کرِ تهہ۔ تهندين معبودان باطلن ھنز ڇهنہ کتهی تم ڇهہ بالکل مُهمل بے کار۔ يتهہ رُودِہ تهہ توھے اورہ يُورمہ تکليف واتناوُنہ خيطرہ اتهہ کهور زيٹهہ راويو۔ مہ ڇهونہ تميک تہ کانهہ پرواکيا زِہ اِنَّ وَلِيِّۦَ اللّٰهُ الَّذِيْ نَزَّلَ الْكِتٰبَ وَهُوَ يَتَوَلَّى الصّٰلِحِيْنَ پزِ پاٹهہ ميون دوُست، مددگار تہ مالک ڇهو اللّٰہ تعالیٰ تمسندہ مددگار آسنک بُوڈ ثبوت ڇهوکہ تمِ کرمہ پيٹهہ نازل سو کتاب يوسہ خير دارين کين سارنی چيزن جامع ڇهہ۔ سو ڇهو عموماً نيک بندن پانہ مدد کران۔ حضراتِ انبياء گئے نيک بندن ھندِ سردار۔ بُوتہ ڇهوس نبيو اَندرہ اکھ فرد کامل۔ لهذا ڇهو ميون تہ سو يقيناً مددگار وَالَّذِيْنَ تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖ لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ نَصْرَكُمْ وَلَآ اَنْفُسَهُمْ يَنْصُرُوْنَ يتهہ رُودِ تمِ معبودانِ باطل تمن ھنز تهہ پرستش کران ڇهوہ معبود

أَنفُسَهُمْ يَنصُرُونَ ﴿١٩٧﴾ وَإِن تَدْعُوهُمْ إِلَى الْهُدَىٰ لَا يَسْمَعُوا ۖ
وَتَرَاهُمْ يَنظُرُونَ إِلَيْكَ وَهُمْ لَا يُبْصِرُونَ ﴿١٩٨﴾ خُذِ الْعَفْوَ وَأْمُرْ
بِالْعُرْفِ وَأَعْرِضْ عَنِ الْجَاهِلِينَ ﴿١٩٩﴾ وَإِمَّا يَنزَغَنَّكَ مِنَ
الشَّيْطَانِ نَزْغٌ فَاسْتَعِذْ بِاللَّهِ ۚ إِنَّهُ سَمِيعٌ عَلِيمٌ ﴿٢٠٠﴾ إِنَّ الَّذِينَ

---

برعڪس ورائي تم هيڪن نه توهه ڪا نه مدد ڪري ٿا نه هيڪن پنهنجين پاڻن مدد ڪري ٿا. مدد ڪرڻ ڳيه ٻڌٿا وَإِنْ تَدْعُوهُمْ إِلَى الْهُدَىٰ لَا يَسْمَعُوا هرگاه توهه تمن ڪا نه ڪٿا ونه خيطره آلو ڏيو سو آلو تهندته هيڪن نه تم ٻُوزِ ٿا ڪيازه يٿه پاڻه نه تمن نشهِ ٻُوزنڪ تان موجود ڇهِ يٿهي پاڻ ڇهنهِ تمن نشهِ ڏڇهنڪ تان ته موجود، تهنزن شڪلن ته صورتن اندر يمه اڇهِ بناونه آمڙه ڇهه تمهِ ڇهه بالڪل بيڪار. ڇهوڪ ڙه ڪنو ڇهوي ڙه انيو پنه نُوي وَتَرَاهُمْ يَنظُرُونَ إِلَيْكَ وَهُمْ لَا يُبْصِرُونَ چنانچه تهه ڇهوڪه تم معبودانِ باطل ڏڇهان. زَن تم توهِ ڳن وڇهان ڇهِ. حالانڪه تمن ڇهونه في الواقع ڏڇهنڪ قوتهي ڪا نه. ڪيازِه حقيقتس منز ڇهنهِ تمِ وڇهتهي هيڪان ڪينه. اَتهِ ڳن نظر ڪري ٿا ڳڙهِ تهندين بين قوتن هُند قياس ڪرڻ. پس يتهين عاجزن نشهِ ڪياه ڇهوه تهه مهِ کهوڙه ناوان. اِڙهه صريح پزهِ دليله ٻُوزِ ٿا ته آس نه تمن ڪافرن هندِس ڪفر و عنادس منز ڳنهِ قِسمه ڪمي سپدان. يمهِ سببه ذاتِ مقدسس منز ڙکهه نڪ احتمال اوس. سو غصه ته ڙکهه دور ڪرنس منز ڇهو الله تعالىٰ فرماوان خُذِ الْعَفْوَ وَأْمُرْ بِالْعُرْفِ وَأَعْرِضْ عَنِ الْجَاهِلِينَ اي پيغمبر برحق تهه ڪرِ واختيار ڙکهِ وِزِه درگذر ڪرنس. بيه ڪرِ وتهه رڙن ڪاين هُند حُڪم حسبِ معمول. بيه مه ڪرِ التفات جاهلن ڳن تهه رُوزِ وبد ستُورپن ڪوم ڪران وَإِمَّا يَنزَغَنَّكَ مِنَ الشَّيْطَانِ نَزْغٌ بيه هرگاه ڳنهِ وقته شيطانه سندِه طرفه ڪانه وسوسه پيده سپدِه توهه يتهه منز احتمال آسهِ خلاف مصلحت ڪانه ڪوم ڪرنڪ فَاسْتَعِذْ بِاللَّهِ تمهِ ساته منگو پناه پنه نس خدايس شيطانه سندِه شره ته وسوسه نشهِ إِنَّهُ سَمِيعٌ عَلِيمٌ پزِ پاٿِ سو ڇهو سو رُوي بوزه ڏن، سو رُوي زانه ڏن، تهنُد پناه منگن ڇهو بوزان. تهنُد مقاصدِ ته مطالب ڇهو بُوزان. يتهه پاڻهِ خدايس ڳن توجه ڪر ٿا شيطانه سندِه شره نشهِ پناه منگن تهندِه خيطره مفيد ڇهو تهي پاڻهِ

اتَّقَوْا اِذَا مَسَّهُمْ طٰٓئِفٌ مِّنَ الشَّيْطٰنِ تَذَكَّرُوْا فَاِذَا هُمْ مُّبْصِرُوْنَ ﴿۲۰۱﴾ وَاِخْوَانُهُمْ يَمُدُّوْنَهُمْ فِي الْغَيِّ ثُمَّ لَا يُقْصِرُوْنَ ﴿۲۰۲﴾ وَاِذَا لَمْ تَاْتِهِمْ بِاٰيَةٍ قَالُوْا لَوْلَا اجْتَبَيْتَهَا ۭ قُلْ اِنَّمَآ اَتَّبِعُ مَا يُوْحٰٓى اِلَيَّ مِنْ رَّبِّيْ ۚ هٰذَا بَصَاۗىِٕرُ مِنْ رَّبِّكُمْ وَهُدًى

---

چھُو سارنی خدایس کھوژہ وٕنین بندن ہندِہ خیطرہ تہٕ سیٹھاہ مُفید اِنَّ الَّذِيْنَ اتَّقَوْا اِذَا مَسَّهُمْ طٰٓئِفٌ مِّنَ الشَّيْطٰنِ تَذَكَّرُوْا پرٕ پاٹھِ یمِ خدایس کھوژہ وٕنِ بندہ چھِہ یِلہِ تِمن تہٕ شیطانہ سندِہ وسوسُک خیال گُذاران چھُو تِم تہٕ چھِہ فوراً تمہِ ساتہٕ خدایہ سندِس یادس سیت مشغول سپدان، اعوذ باللہ پران۔ خدایہ سُند عظمت و جلال، ثواب وعذابُک یاد کران۔ فَاِذَا هُمْ مُّبْصِرُوْنَ پَس چھِہ فوراً تہنزہ اَچھ مژرنہ یِوان۔ تو پتہٕ چھِہ حقیقت تِمن پیٹھ ظاہرِ سَپدان۔ یمہِ سیت نہ تِمن پیٹھ خطرکُ کانہہ اَثر چھُو واتان وَاِخْوَانُهُمْ يَمُدُّوْنَهُمْ فِي الْغَيِّ ثُمَّ لَا يُقْصِرُوْنَ شیطانَن ہندہ بائی یمِ چھِہ تِمن نہ خدایادے پِیوان چھُو تِمن چھِہ تمِ شیطان گمراہی کُن کھکھرہ پکہ ناوان۔ لہذا چھنہٕ تِم گمراہی اَندر رُکنہ قِسمہ کمِی کران۔ وَاِذَا لَمْ تَاْتِهِمْ بِاٰيَةٍ قَالُوْا لَوْلَا اجْتَبَيْتَهَا یِلہِ نہ تُہہ تِمن نشہِ تہنزہ خواہشہ مُطابق کانہہ فرمائشی مُعجزہ پیش کران چھوہ۔ کیازِہ معجزہ پیش کرنُک اختیار چھُو خدایہ سِی اَتھہ تمہِ ساتہٕ چھِہ وَنان تِم ہرگاہ توہہِ پیغمبر برحق چھوہ تلہِ کونہ اَنوہ توہہِ ژارِتھ پننہِ خیطرہ رتِ مُعجزہ۔ یمہِ سیت تُہند پیغمبر آسُن ثابتِ سپدِہ ہا قُلْ اِنَّمَآ اَتَّبِعُ مَا يُوْحٰٓى اِلَيَّ مِنْ رَّبِّيْ تُہہ فرماوِیُوکھ کہِ میانِ کوم چھنہ پننہِ اِختیارہ توہہِ نشہِ مُعجزہ پیش کرنِ۔ میان اصلی کوم چھِہ کہِ بو کرہ نہ پیروی مگر تتھ یہِ مہِ کُن وحی سوزنہ یِوان چھُو میانِس پروردِگار سندِہ طرفہ۔ نبوتہٕ خیطرہ چھُو مُعجزہ آسُن ضروری تمہِ خیطرہ چھُو ساروی مُعجز وَاَندرہ بُوڈ مُعجزاہ یہِ قرآنِ مجید۔ یُوہے چھُو بے شُمار دلیلہ تہندِس پروردِگار سندِہ طرفہ۔ امیُک پرِیتھ سورہ شریفاہ چھُو اکھ اکھ دلیل، پرِیتھ آیہ کریماہ چھُو اکھ اکھ دلیل۔ پرِیتھ آیَس چھِہ اَمی مُوکھ آیہِ وَنان کہِ سُہ چھُو بجایِ خود اکھ دلیل۔ تمی چھِہ سارِی انسان تہٕ جن قرآن مجیدہ کِس اَکِس اَکِس آیہ کرتمَس سیت مُقابلہ کرنہ خیطرہ عاجز تمی

وَّ رَحْمَةٌ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ﴿٢٠٣﴾ وَ اِذَا قُرِئَ الْقُرْاٰنُ فَاسْتَمِعُوْا لَهٗ وَ اَنْصِتُوْا لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ ﴿٢٠٤﴾ وَ اذْكُرْ رَّبَّكَ فِیْ نَفْسِكَ تَضَرُّعًا وَّ خِيْفَةً وَّ دُوْنَ الْجَهْرِ مِنَ الْقَوْلِ بِالْغُدُوِّ

---

چھُو پریتھ آیہ کریماہ اکھ اکھ مُعجزاہ هٰذَا بَصَآئِرُ مِنْ رَّبِّكُمْ وَ هُدًى وَّ رَحْمَةٌ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ تمیک بُوڈ فائدہ تہٕ نفع چھُو بالفعل تمن لُوکن ہندہ خیطرہ یِم تتھ مانان تہٕ پڑھ کران چھہٕ۔ تہندِہ خیطرہ چھُو بوڈ ہدایت تہٕ رحمت۔ مگر سو فائدہ تہٕ نفع حاصِل کرنہ خیطرہ چھہٕ کینہہ شرائط۔ تِم گئے وَ اِذَا قُرِئَ الْقُرْاٰنُ فَاسْتَمِعُوْا لَهٗ وَ اَنْصِتُوْا لَعَلَّكُمْ تُرْحَمُوْنَ یلہِ یہٕ قرآن مجید پرنہ آسہ یوان تلہِ آسِز وتھہٕ سوٗ کن دارِتھ وارہ بُوزان۔ بیہٕ آسِزہ پانہ ژھوپہ کرِتھ روزان یتھ توہہٕ تمیک مُعجزہ آسُن تہٕ تمچہٕ تعلیمات وہدایات فکرہ ترن۔ یتھ توہہٕ مزید رحم اِیہٕ کرنہ بیہٕ فرماوِوتھہٕ پریتھ شخصس کہ اکی شخصہ وَ اذْكُرْ رَّبَّكَ فِیْ نَفْسِكَ تَضَرُّعًا وَّ خِيْفَةً وَّ دُوْنَ الْجَهْرِ مِنَ الْقَوْلِ پنہ نس پروردِگارہ سُند یاد اَس کران قرآنِ مجید پرنہ سیت، تسبیح و تہلیل پرنہ سیت پننہٕ جایہ، آہستہ آہستہ، لُوتہٕ لوتہٕ، عاجزی سان تہٕ خوفہ سان۔ بیہٕ آس بڈِہ بڈِہ پرنہ خوتہٕ کم کم آوازہ سیت پران عاجزی تہٕ خوفہ سان بِالْغُدُوِّ وَ الْاٰصَالِ صُبحس تہٕ شامس تہٕ یعنی ہمیشہ وَ لَا تَكُنْ مِّنَ الْغٰفِلِيْنَ بیہٕ مہٕ آس غافِلو اندرہ یِم تمہٕ ذِکرہ تہٕ تراوان چھہٕ یمن ہُند حُکم چھُو تہٕ یمہ سیٹھاہ ضروری چھہٕ۔ حاصِل چھُو کہ یاد خدا کربہٕ وَقتہٕ گژھہٕ عاجزی تہٕ خُوف حاصِل سپُدن آوازِہ ہندہ اعتبارہ گژھہٕ نہ سیٹھاہ بڈِہ بڈِہ یاد خدا کرُن، یُس لُوکن باعثِ تشویش سپدِہ۔ نہ گژھہٕ بالکل سُستی سان پرن یمہٕ سیت غفلت تہٕ نندر طاری سپدِ یُس نہ گژھہٕ زیادہ لوتہٕ پرن یُوسہ نہ پانس تہٕ فکرہ تریس نہ زیادہ بڈِہ پرن یمہٕ سیت حضُورس اندر فتور الیس اِنَّ الَّذِيْنَ عِنْدَ رَبِّكَ بیشک یِم ملایک تہندِس خدایہ سندِ مُقرب بندہ چھہٕ لَا يَسْتَكْبِرُوْنَ عَنْ عِبَادَتِهٖ وَ يُسَبِّحُوْنَهٗ وَ لَهٗ يَسْجُدُوْنَ تِم تہٕ چھنہٕ تہنزہ عبادتہ نشہِ تکبر کران۔ بلکہ چھہٕ تہنزی عبادَت کران بیہٕ چھس پریتھ وقتہٕ پاک گنزران، زیوہ سیت یاد کران، بیہٕ چھس سجدہ دِوان یعنی تانو سیتِ تہٕ تھوند یاد کران۔ یہٕ آیہ کریمہ پرنہ سیت تہٕ بوزتہٕ سیتِ چھُو پرہ وٕنس تہٕ بُوزہ وُنین پیٹھ سجدہ مٔژہِ کھسان۔ تمچ دلیل چھہ کہ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان کہ فَمَا لَهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ

وَالْاٰصَالِ وَلَا تَكُنْ مِّنَ الْغٰفِلِيْنَ ﴿٢٠٥﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ عِنْدَ رَبِّكَ لَا يَسْتَكْبِرُوْنَ عَنْ عِبَادَتِهٖ وَيُسَبِّحُوْنَهٗ وَلَهٗ يَسْجُدُوْنَ ﴿٢٠٦﴾ السجدة

---

وَاِذَا قُرِئَ عَلَيْهِمُ الْقُرْاٰنُ لَا يَسْجُدُوْنَ سارسی قرآن مجیدس منز چھِ ژوداہ[14] آیہ کریمہ تمن ہندہِ پرنہ سیت تہ بُوزنہ سیتِ سجدہ تلاوت چھُومٕژِ کھسان۔ اِمام شافعی صابس چھِ تمِ پنداہ آیہ کریمہ، سجدہ تِلاوت چھُو پرِیتھ مسلمان مَردس تہ زنانہِ پیٹھ یُس عاقِل تہ بالِغ آسہِ مٕژہ کھسان۔ دِیوانس تہ نابالغس، یا عُذرہ واجنہِ زنانہ پیٹھ چھُونہ یہِ پرنہ سیتِ تہ بُوزنہ سیت مٕژِ کھسان۔ سجُدک آیہ کریمہ ہرگاہ روان یِیہ پرنہ تلہِ چھُو سجدہ مٕژِ کھسان ہرگاہ ہِجہ کڈِت الگ الگ حُروف پرنہ یِن تلہِ چھُونہ مٕژِ کھسانِ۔ سجُدک کانہہ آیہ کریمہ ہرگاہ بے وضو پرنہ یِیہ تتھ چھُونہ کانہہ حَرج۔ مگر سجدہ گژھہِ نہ بے وضُو دِیُن۔ بلکہِ گژھِ بیہِ کُنہِ وقتہ یمہِ ساتہ وضُو آسیس سجدہ دیُن۔ ہرگاہ نمازٕ اَندر آیہ سجدہ پرنہ یِیہِ سُہ سجدہ گژھِ تمی ساتہ امامہ سُند تہ مُقتدین ہُند تہِ اداکرُن۔ سجدہ تِلاوت اداکرنکِ شرط چھِ شہ ٦ چیز۔ طہارتِ بَدن آسُن، طَہارتِ لباس آسُن۔ طہارت جای آسُن، استقبال قبلہ آسُن، سترِ عورت آسُن بیہِ سجدہ تلاوچ نیت کرنِ، تمِ گے شہ چیز تمِ نمازہِ ہندِہ خیطرہ ضروری چھِ۔ اِتھ پاٹھِ کانہہ نمازٕ تمِوشیوٕ چیزٕ ووراں دُرست چھُنہ اِتھے پاٹھِ چھُونہ سجدہ تِلاوت تہِ تمِوشیوٕ چیزٕ ووراں دُرست۔



## سُوْرَةُ الْأَنْفَالِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ۝

يَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْاَنْفَالِ ۭ قُلِ الْاَنْفَالُ لِلّٰهِ وَالرَّسُوْلِ ۚ فَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاَصْلِحُوْا ذَاتَ بَيْنِكُمْ ۠ وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗٓ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ۝۱ اِنَّمَا الْمُؤْمِنُوْنَ الَّذِيْنَ اِذَا ذُكِرَ اللّٰهُ وَجِلَتْ قُلُوْبُهُمْ وَاِذَا تُلِيَتْ عَلَيْهِمْ اٰيٰتُهٗ زَادَتْهُمْ اِيْمَانًا وَّعَلٰى

---

يَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْاَنْفَالِ جہادس اَندرٕ یُس مال دُشمنس نشہِ حاصِل کرنہِ ایہِ تتھ چھہِ مالِ غنیمت وَنان۔ بیاکھ ناوٕ چھُو تمیک نفل تمُکوی جمع گو انفال۔ چونکہ یَتھ سوٗرہ شریفس منز چھہِ جہادک تہٕ مالِ غنیمتک اَحکام اَمی مناسبتہٕ آوٕ یَتھ سارسی سوٗرہ شریفس سوٗرہ انفال ناوٕ تھاونہٕ۔ یہ حُکم آو بیان کرنہٕ تمہِ وقتہٕ یمہِ وَقتہٕ جنگِ بدرس منز صحابہ ؓ یمَن اَندر جوان مجاہدَن تہٕ بُڈین اَندر اختلاف سُپد۔ جوانو دوٗپ کہ مال غنیمتک حقدار چھہِ اَسی یُوڈیو صاحبو دوٗپ چونکہِ اَسہِ تہِ آسِ تہند مددگار، لہٰذا گژھہِ اَسہِ تہٕ اَمہِ منزہ حِصّہ ترٕن، یُوہے اِختلاف کور تموٕ پیش دَرخدمتِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم۔ تمی ساتہ سپُد یہِ آیہ کریمہ نازِل يَسْـَٔلُوْنَكَ عَنِ الْاَنْفَالِ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان پرژھان چھہِ توہہِ صحابہ صیب یارسول اللہ مال غنیمتکہِ تقسیمک حُکم قُلِ الْاَنْفَالُ لِلّٰهِ وَالرَّسُوْلِ تہٕ فرماویُو کھ کہِ مالِ غنیمت چھُو خدایہِ سُند کیازہ فتح و نصرت عطا کرہ وُن چھُو سوی۔ بیہ تُہندِس پیغمبرہ سُند یہندہ واسطہ اللہ تعالیٰ اَحکام جاری کران چھُو فَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاَصْلِحُوْا ذَاتَ بَيْنِكُمْ پَس کھوژِو خدایس بیہ کرِو باہمی تعلقاتن اصلاح۔ پانہ وانِ مہٕ تھاوِو بُغض وحسَد وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗٓ اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ حُکم مانو خدایہِ سُند تہٕ تہندِس پیغمبرہ سُند ہرگاہ تُہہ یا ایمان چھوِہ اِنَّمَا الْمُؤْمِنُوْنَ الَّذِيْنَ اِذَا ذُكِرَ اللّٰهُ وَجِلَتْ قُلُوْبُهُمْ باایمان گئے نہ مگر تمے یمَن نشہِ یلہ ذکر کرنہ آیہِ خدایہِ سنز، تہنز عظمت زیرِ نظر انتھِ چھہ ثان تہندِ دِل وَاِذَا تُلِيَتْ عَلَيْهِمْ اٰيٰتُهٗ زَادَتْهُمْ

رَبِّهِمْ يَتَوَكَّلُوْنَ ۚ﴿۲﴾ الَّذِيْنَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَمِمَّا
رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ ﴿۳﴾ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُؤْمِنُوْنَ حَقًّا ۭ لَهُمْ
دَرَجٰتٌ عِنْدَ رَبِّهِمْ وَمَغْفِرَةٌ وَّرِزْقٌ كَرِيْمٌ ۚ﴿۴﴾ كَمَآ
اَخْرَجَكَ رَبُّكَ مِنْۢ بَيْتِكَ بِالْحَقِّ ۠ وَاِنَّ فَرِيْقًا مِّنَ الْمُؤْمِنِيْنَ
لَكٰرِهُوْنَ ۙ﴿۵﴾ يُجَادِلُوْنَكَ فِي الْحَقِّ بَعْدَ مَا تَبَيَّنَ كَاَنَّمَا يُسَاقُوْنَ
اِلَى الْمَوْتِ وَهُمْ يَنْظُرُوْنَ ۭ﴿۶﴾ وَاِذْ يَعِدُكُمُ اللّٰهُ اِحْدَى

---

اِيْمَانًا وَّعَلٰى رَبِّهِمْ يَتَوَكَّلُوْنَ بیہ یلہ پرنہ یوان چھہِ تمن پیٹھ خدایہ سندِ آیات۔ ہُران تہ مضبوط چھہِ سپدان تہوند ایمان، بیہ چھہِ تمِ پننہ نسی پروردِگارس پیٹھ اعتماد تہ توکُل کران الَّذِيْنَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَمِمَّا رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ تم باایمان گئے تِمے یم قائم تہ برپا چھہِ تھاوان نماز۔ بیہ یُس مال اَسی تمن عطا کور تمہِ منزہ چھہِ خرچ کران خدایہ سنزِ ہوتہِ اندر اُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُؤْمِنُوْنَ حَقًّا تِمے کیا گئے پزِ پاٹھِ باایمان لَهُمْ دَرَجٰتٌ عِنْدَ رَبِّهِمْ وَمَغْفِرَةٌ وَّرِزْقٌ كَرِيْمٌ تہندی خیطرہ چھہِ تہندِس پروردِگارس نشہِ تھدِ درجہِ بیہ بُوڈ مغفرت تہ عزتُک رزق كَمَآ اَخْرَجَكَ رَبُّكَ مِنْۢ بَيْتِكَ بِالْحَقِّ یہُند مال غنیمتس منز اختلاف کرُن بیہ نہِ تہنزہ مرضی مُطابق یہ تقسیم سپُدن چھُوا کہِ مصلحتہ موجب۔ یتھ پاٹھِ توہہِ کڈوہ پنن پروردِگارَن پننہِ گھرہ بَستی تہ شہرہ منزہ اکس خاص مصلحتس پیٹھ یعنی مال غنیمتس اندر اہنزِہ مرضی مُوافق تقسیم نہ سپدنس منز تہِ چھہ مصلحت۔ یتھہ پاٹھِ تُہندِہ مدینہ شریفہ منزہ میدانِ بدرس کُن کڈنس اَندر مصلحت آس وَاِنَّ فَرِيْقًا مِّنَ الْمُؤْمِنِيْنَ لَكٰرِهُوْنَ درحالتیکہ اکھ جماعتھاہ آس باایمانو اَندرہ تہُندِس تمہِ وقتہ کَس مدینہ شریفہ اَندرہ نیرَنس ناپسند کران يُجَادِلُوْنَكَ فِي الْحَقِّ بَعْدَ مَا تَبَيَّنَ بحث وقضیہ آسِ کران تم توہہِ سیت مَشورہ پاٹھِ پزِہ کتھ منز تمکہِ ظاہرِ سپد نہ پیتہ۔ بے سلاح وسامان جنگس نیرُن قریشن سیتِ جنگ کرُن یمِ باسلاح وسامان آسِ اُوس تمن ثیوت مُشکل لبنہ یوان كَاَنَّمَا يُسَاقُوْنَ اِلَى الْمَوْتِ وَهُمْ يَنْظُرُوْنَ زَن تمِ پکناونہ آسِ یوان مارنہ خیطرہ اَچھن ڈیشمان۔ یعنی تمِ آسِ مرنکِ

الطَّآئِفَتَيْنِ اَنَّهَا لَكُمْ وَتَوَدُّوْنَ اَنَّ غَيْرَ ذَاتِ الشَّوْكَةِ
تَكُوْنُ لَكُمْ وَيُرِيْدُ اللّٰهُ اَنْ يُّحِقَّ الْحَقَّ بِكَلِمٰتِهٖ وَيَقْطَعَ دَابِرَ
الْكٰفِرِيْنَ ۝٧ لِيُحِقَّ الْحَقَّ وَيُبْطِلَ الْبَاطِلَ وَلَوْ كَرِهَ الْمُجْرِمُوْنَ ۝٨
اِذْ تَسْتَغِيْثُوْنَ رَبَّكُمْ فَاسْتَجَابَ لَكُمْ اَنِّيْ مُمِدُّكُمْ بِاَلْفٍ
مِّنَ الْمَلٰٓئِكَةِ مُرْدِفِيْنَ ۝٩ وَمَا جَعَلَهُ اللّٰهُ اِلَّا بُشْرٰى وَلِتَطْمَئِنَّ
بِهٖ قُلُوْبُكُمْ ۚ وَمَا النَّصْرُ اِلَّا مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ ۗ اِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ

---

اسباب بي سروساماني پڻ ڏِٺاءِ. وَاِذْ يَعِدُكُمُ اللّٰهُ اِحْدَى الطَّآئِفَتَيْنِ اَنَّهَا لَكُمْ ُتهه ڪرو سُو وقت يادڪيو جڏهن الله تعاليٰ اَوهان بذريعه وحي بواسطه پيغمبر صلي الله عليه وسلّم وعده فرمايو ته دُشمن جن ٻن جماعتن اندر جنهن هڪ جماعت ضرور تنهنجي خطرہ ۾ اُن پٺيان سَپڙ ڪرڻ غالب وَتَوَدُّوْنَ اَنَّ غَيْرَ ذَاتِ الشَّوْكَةِ تَكُوْنُ لَكُمْ تهه آسِوه پسند ڪرڻ کھا غير مُسلح جماعتن گرڇھه سامُوس اَٿس منزلين تن سيت نه مُقابله ته جنگ پيهه ڪرڻ مگر وَيُرِيْدُ اللّٰهُ اَنْ يُّحِقَّ الْحَقَّ بِكَلِمٰتِهٖ وَيَقْطَعَ دَابِرَ الْكٰفِرِيْنَ الله تعاليٰ اُوس ڀرِڇاڻ ڪرِ سُو پرڙاوِه ڀاپُو ڙهن حڪمه سيت بيه گالهِ ڀامُول ڪافرن هُند لِيُحِقَّ الْحَقَّ وَيُبْطِلَ الْبَاطِلَ وَلَوْ كَرِهَ الْمُجْرِمُوْنَ ڪافرِن هُند مُول گڻه سيت تهِ پُٺهه پرِ يڪ پُوز آسن ته اَپرِ يڪ اُپرِ آسن الله تعاليٰ وارِه ثابت ڪرِه اگرچهِ نافرمانن اِي تن سُو ناپسندي اِذْ تَسْتَغِيْثُوْنَ رَبَّكُمْ فَاسْتَجَابَ لَكُمْ يهِ گوسُوي وقت يِمهِ ساتهه فرياد آسِوه ڪران تُهه پنه نَس پرورِدگارس گُن، منگان آسِوه تَس فتح و نصرت پَس ڪر تمِ اجابت تُهندِس منگه نَس اَنِّيْ مُمِدُّكُمْ بِاَلْفٍ مِّنَ الْمَلٰٓئِكَةِ مُرْدِفِيْنَ يهِ فرماونه سيتِ ڪه بُوڪره توهِه مدد، اڪه ساس ملڪ سوزنه سيت يمِ اڪه اڪس سيت آسن رُوزِ تهه يعني گنڈِ تهه وَمَا جَعَلَهُ اللّٰهُ اِلَّا بُشْرٰى وَلِتَطْمَئِنَّ بِهٖ قُلُوْبُكُمْ يه مِلايڪن هندِه ذريعه مدد ڪرُن ڪورنه الله تعاليٰ هَن مگر تُهندِه خُوش ڪرنه خيطره. يُتھ تهندِ دِل اسباب فتح و نُصرت ڏِڇهته خُوش گڙهن. بيهِ يُتھ تُهندِ دِل قرار رٹن وَمَا النَّصْرُ اِلَّا مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ حقيقتس منز ڇهنه نُصرت ته ياري مگر خدايه سندِي طرفه اِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ پزِپاڻھِ الله تعاليٰ ڇھُوزبردست ته حڪمته

حَكِيْمٌ ﴿١٠﴾ اِذْ يُغَشِّيْكُمُ النُّعَاسَ اَمَنَةً مِّنْهُ وَيُنَزِّلُ عَلَيْكُمْ
مِّنَ السَّمَآءِ مَآءً لِّيُطَهِّرَكُمْ بِهٖ وَيُذْهِبَ عَنْكُمْ رِجْزَ
الشَّيْطٰنِ وَلِيَرْبِطَ عَلٰى قُلُوْبِكُمْ وَيُثَبِّتَ بِهِ الْاَقْدَامَ ﴿١١﴾ اِذْ
يُوْحِيْ رَبُّكَ اِلَى الْمَلٰٓئِكَةِ اَنِّيْ مَعَكُمْ فَثَبِّتُوا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا ؕ
سَاُلْقِيْ فِيْ قُلُوْبِ الَّذِيْنَ كَفَرُوا الرُّعْبَ فَاضْرِبُوْا فَوْقَ
الْاَعْنَاقِ وَاضْرِبُوْا مِنْهُمْ كُلَّ بَنَانٍ ﴿١٢﴾ ؕ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ

---

ڏول اِذْ يُغَشِّيْكُمُ النُّعَاسَ اَمَنَةً مِّنْهُ بيهِ پاڻ وِ ڙيئس سُو وقت يمه وقته الله تعالىٰ هن توهه نندره هنزماى
وَجنوه پنه طرفه۔ توهه پُوره سکُون ته قرار دنه خيطره وَيُنَزِّلُ عَلَيْكُمْ مِّنَ السَّمَآءِ مَآءً لِّيُطَهِّرَكُمْ بِهٖ
بيهِ پاڻ وِ ڙيئس تمهِ برونٹھ يمه ساته اوسُن توهه پيٹھ آسمانکه طرفه رُود تروومُت۔ يتھ تهه تمهِ رُوده سيت
پاک کره بے غُسل کرنَ غُسل ته بے طهارت کرن طهارت وَيُذْهِبَ عَنْكُمْ رِجْزَ الشَّيْطٰنِ بيهِ
يُتھ سُو دُور کرهِ توهه نشهِ شيطانه سَندِه وسوسچ ناپاکی وَلِيَرْبِطَ عَلٰى قُلُوْبِكُمْ بيهِ يُتھ تمی سيتِ تُهندِ دِل
مضبوط کرهِ وَيُثَبِّتَ بِهِ الْاَقْدَامَ بيهِ يُتھ تمهِ رُود پنه سيتِ تُهندِ کھورواره درراوِه۔ کيازه سيکھِ چھه
رُود پنيه سيتِ دَران۔ ميژه چھه رُود پنه سيت رَب وو تھان اِذْ يُوْحِيْ رَبُّكَ اِلَى الْمَلٰٓئِكَةِ اَنِّيْ مَعَكُمْ بيهِ
پاڻ وِ سُو وقت ڙِتيں يمهِ ساته تُهند پروردِگار حُکم سوزان اُوس تمن ملايگن کُن يمِ تُهندِه مدده خيطره
سوزنه آمتِ آسِ۔ اے ملايکوِ وَسِو ميانِ باايمان بندن هندِه مدده خيطره۔ بُوتهِ چھُوس توهه سيت
مددگار فَثَبِّتُوا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا اے ملايکومهِ مددگار زانتھ تھاوِ وتُهه مضبُوط باايمانن هندِ دِل سَاُلْقِيْ فِيْ
قُلُوْبِ الَّذِيْنَ كَفَرُوا الرُّعْبَ بوتراوه کافرن هندين دِلن اَندر خوف ته وحشت فَاضْرِبُوْا فَوْقَ
الْاَعْنَاقِ وَاضْرِبُوْا مِنْهُمْ كُلَّ بَنَانٍ پس شمشيرِه ژنڈِ ديوکھه گردنن پيٹھ بيه ژٹيوکھه تانه تانه ذٰلِكَ
بِاَنَّهُمْ شَآقُّوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ يه سزا چھُو تمن امی سببه که تموِ کر مُخالفت خدايه سنز بيهِ تهندِس پيغمبره سنز
وَمَنْ يُّشَاقِقِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ فَاِنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ بيهِ يُس اکھاه خدايه سنز ته تهندِس پيغمبره سنز

شَآقُّوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ ۚ وَمَنْ يُّشَاقِقِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ فَاِنَّ
اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ﴿١٣﴾ ذٰلِكُمْ فَذُوْقُوْهُ وَاَنَّ لِلْكٰفِرِيْنَ
عَذَابَ النَّارِ ﴿١٤﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا لَقِيْتُمُ الَّذِيْنَ
كَفَرُوْا زَحْفًا فَلَا تُوَلُّوْهُمُ الْاَدْبَارَ ﴿١٥﴾ وَمَنْ يُّوَلِّهِمْ يَوْمَئِذٍ
دُبُرَهٗٓ اِلَّا مُتَحَرِّفًا لِّقِتَالٍ اَوْ مُتَحَيِّزًا اِلٰى فِئَةٍ فَقَدْ بَآءَ
بِغَضَبٍ مِّنَ اللّٰهِ وَمَاْوٰىهُ جَهَنَّمُ ۗ وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ ﴿١٦﴾
فَلَمْ تَقْتُلُوْهُمْ وَلٰكِنَّ اللّٰهَ قَتَلَهُمْ ۠ وَمَا رَمَيْتَ اِذْ رَمَيْتَ

---

مُخالفت ڪري ٿو ته ڪري اللہ تعاليٰ سخت عذاب سان گرفتار۔ ذٰلِكُمْ فَذُوْقُوْهُ وَاَنَّ لِلْكٰفِرِيْنَ عَذَابَ النَّارِ
تنهن عذاب جو مزو چکو ۽ هي ڄاڻو ته ڪافرن لاءِ جهنم جو عذاب آخرت ۾ تياريل آهي
دنيا جي عذاب کان علاوه يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا لَقِيْتُمُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا زَحْفًا اي باايمانو جڏهن ڪافرن
سان مقابلو ڪرڻ لڳو پر زمين پيٽ ڀر ويٺا پيادا فوجي بڻجي فَلَا تُوَلُّوْهُمُ الْاَدْبَارَ پوءِ به ڀڄي تن کي
پُٺيون ڏيئي پاڻ بچائڻ نه کپي ۽ وَمَنْ يُّوَلِّهِمْ يَوْمَئِذٍ دُبُرَهٗٓ جيڪو ان ڏينهن ڪافرن کي پُٺ ڏئي ڀڄي ٿو
ٽِلي هن اِلَّا مُتَحَرِّفًا لِّقِتَالٍ اَوْ مُتَحَيِّزًا اِلٰى فِئَةٍ مگر پُٺ ڦيرڻ ان کي جنگ جي مصلحت خاطر يا
امدادي فوج سان شامل ٿيڻ خاطر ته پُٺ ڏيڻ ۾ حرج۔ نه ته پوءِ ٽِلڻ خاطر ته ان کي پُٺ ڦيرڻ
فَقَدْ بَآءَ بِغَضَبٍ مِّنَ اللّٰهِ پوءِ بتحقيق سو آيو خدا جي ناراضگي سان ۽ هيٺ۔ وَمَاْوٰىهُ جَهَنَّمُ ۽ جاءِ
ان جي جهنم وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ سو ٿيڻ جاءِ جو جهنم فَلَمْ تَقْتُلُوْهُمْ وَلٰكِنَّ اللّٰهَ قَتَلَهُمْ اي
مسلمانو توهان مارن کي نه ماريو ڪافر جنگ بدر ۾ بلڪ مار تي اللہ تعاليٰ ان پاڻ وَمَا رَمَيْتَ اِذْ رَمَيْتَ وَ
لٰكِنَّ اللّٰهَ رَمٰى اي پيغمبر برحق توهان نه ڇڪيو مٽي جي مُٺ ظاهر ۾ بلڪ ڇڪي سو پاڻ الله

وَلٰكِنَّ اللّٰهَ رَمٰى ۚ وَلِيُبْلِيَ الْمُؤْمِنِيْنَ مِنْهُ بَلَآءً حَسَنًا ۭ اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ﴿١٧﴾ ذٰلِكُمْ وَاَنَّ اللّٰهَ مُوْهِنُ كَيْدِ الْكٰفِرِيْنَ ﴿١٨﴾ اِنْ تَسْتَفْتِحُوْا فَقَدْ جَآءَكُمُ الْفَتْحُ ۚ وَاِنْ تَنْتَهُوْا فَهُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ ۚ وَاِنْ تَعُوْدُوْا نَعُدْ ۚ وَلَنْ تُغْنِيَ عَنْكُمْ فِئَتُكُمْ شَيْـًٔا وَّلَوْ كَثُرَتْ ۙ وَاَنَّ اللّٰهَ مَعَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿١٩﴾ ع يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ وَلَا تَوَلَّوْا عَنْهُ وَاَنْتُمْ تَسْمَعُوْنَ ﴿٢٠﴾ وَلَا

---

تعالیٰ اَن۔ یہ کور اللہ تعالیٰ اَن اکھ یُتھ کافرن مغلوب کرہ۔ وَلِيُبْلِيَ الْمُؤْمِنِيْنَ مِنْهُ بَلَآءً حَسَنًا بیہِ یُتھ اللہ تعالیٰ بایمانن پننہِ طرفہ رتِ اِنعام واِحسان عطاکرِہ۔ یعنی کوم کرِ حقیقتاً تمِ پانہ مگر سئوی کوم کرن مسمانن ہندیو اتھویا نبی کریمہ سندہ دستِ مُبارکہ یُتھ تمِ امیگ ثوابِ تہ اجر بیہ بوڈ انعام حاصِل کرن اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ پزِ پاٹھِہ اللہ تعالیٰ چھُو تمن بایمانن ہنزِہ سارے کتھہ بوزہ ون بیہ یہند اعمال و افعال پُور و چھِہ ڈون ذٰلِكُمْ وَاَنَّ اللّٰهَ مُوْهِنُ كَيْدِ الْكٰفِرِيْنَ اکھ گیہ یہ کتھ۔ دویم کتھ چھہ یہِ اللہ تعالیٰ اُس آسِ کافرِن ہندِ ساری تدبیر سُست تہ بیکار کرنِ اِنْ تَسْتَفْتِحُوْا فَقَدْ جَآءَكُمُ الْفَتْحُ ای کافرِو ہرگاہ تُہہ فیصلہ ژھانڈان چھِوہ بیشک سُو فیصلہ سپُد ظاہر۔ مُسلمانن سپز فتح حاصِل۔ یمہِ سیتِ معلُوم سپُد کہ تُہند دِین چھُو پوز دین۔ تمی دِیٖنچ شُوبہ پیروی کرنِ وَاِنْ تَنْتَهُوْا فَهُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ ووَن ہرگاہ تُہہ شرکہ نِشہِ پتھ رُوزِ تھ مسلمان سپدِو تہِ چھُو تُہندِ خیٖرہ سیٹھاہ بہتر وَاِنْ تَعُوْدُوْا نَعُدْ ہرگاہ تُہہ دوبارہ بیہ شرارت کرِوتلہِ چھہِ اسِ تہِ دُوبارہ اِسلامس تہ مُسلمانن مدد کرنہ خیٖرہ تہ کافرن شکست دِنہ خیٖرہ تیار۔ تُہہ مہ رُوزنِ خیال کہِ آیندہ کرَواسِ اَمہِ خوتہ بڈ لشکر جمع یہِ تھاوزِہ یقین کہ وَلَنْ تُغْنِيَ عَنْكُمْ فِئَتُكُمْ شَيْـًٔا وَّلَوْ كَثُرَتْ وَاَنَّ اللّٰهَ مَعَ الْمُؤْمِنِيْنَ ہرگز دِیہ نہ تُہہ کانہہ فایدہِ بڈ جماعت تُہنز اگرچہِ آستن سو سیٹھاہ زیادہ تعدادہ کِن۔ بیہِ چھِہ حقیقت کہ اللہ تعالیٰ چھُو بایمانن سیت پرِیتھ وقتہ مددگار يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ وَلَا تَوَلَّوْا عَنْهُ وَاَنْتُمْ تَسْمَعُوْنَ ای بااِیمانو فرمانبرداری

تَكُونُوا كَالَّذِينَ قَالُوا سَمِعْنَا وَهُمْ لَا يَسْمَعُونَ ﴿٢١﴾ إِنَّ شَرَّ الدَّوَابِّ عِنْدَ اللَّهِ الصُّمُّ الْبُكْمُ الَّذِينَ لَا يَعْقِلُونَ ﴿٢٢﴾ وَلَوْ عَلِمَ اللَّهُ فِيهِمْ خَيْرًا لَأَسْمَعَهُمْ ۖ وَلَوْ أَسْمَعَهُمْ لَتَوَلَّوْا وَهُمْ مُعْرِضُونَ ﴿٢٣﴾ يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا اسْتَجِيبُوا لِلَّهِ وَلِلرَّسُولِ إِذَا دَعَاكُمْ لِمَا يُحْيِيكُمْ ۖ

---

کرِو خدایہ سنز بیہ تھندِس پیغمبر سنز بیہ مہ کٔرِو تھندین احکامن تعمیل کرنہ نِشہِ روگردانی۔ درحالیکہ تُہہ چھوہ خدایہ سند کلام، پیغمبر سند وعظ بوزان۔ تِ چھوہ اِعتقاد اُبوزان۔ تِتھےِ پاٹھہِ کٔرِو تِمن حُکمن پیٹھ عمل تہِ وَلَا تَكُونُوا كَالَّذِينَ قَالُوا سَمِعْنَا وَهُمْ لَا يَسْمَعُونَ تُہہ مہ آسِو تِمن لُوکن ہی یِم زِیوہ سیتِ ونان چھہِ بُوزاسہِ، مگر بوزان چھِنہ کینہہ یعنی عمل چھنہ تتھہ پیٹھ کران کینہہ إِنَّ شَرَّ الدَّوَابِّ عِنْدَ اللَّهِ الصُّمُّ الْبُكْمُ الَّذِينَ لَا يَعْقِلُونَ بیٚزِ پاٹھہِ ساروی جانداروا اندرہ چھہِ بدتر اللہ تعالیٰ اَس نِشہِ تِمے یِم پزِتھ بُوزنہ نِشہِ زرِ آسَن، پزِتھ وننہ نِشہِ کل آسن۔ یِمَن نہ پزِگتھہ کُنہِ قسمہ فکرِہ تران آسہِ۔ پتھ گے تِم یِم اعتقادہ باوجود عملہِ اندر کوتاہی کرن یعنی مُسلمان آستھ کرِن تعمیل احکام کرنَس اندر سُستی تِم گئے نہ بدتر مگر بدتہِ تیچھہ گئے ضرور تِمن پزِہ تِمہِ نِشہِ پتھ روزُن وَلَوْ عَلِمَ اللَّهُ فِيهِمْ خَيْرًا لَأَسْمَعَهُمْ وَلَوْ أَسْمَعَهُمْ لَتَوَلَّوْا وَهُمْ مُعْرِضُونَ بیہِ ہرگاہ اللہ تعالیٰ تِمن کافرن منز زانہ ہاکانہہ خیر و برکتھاہ تلہِ شاید بُوزہ ناوہ ہیکھ یعنی توفیق دِیہِ ہیکھہ بُوز نُک۔ توپتہ ہرگاہ بُوزہ ناوِہ ہیکھہ تہ، توتہِ ژلہ ہَن تہ روگردانی کرہ ہَن تِم پزِہ نِشہِ بُتھ پھِر تھ۔ يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا اسْتَجِيبُوا لِلَّهِ وَلِلرَّسُولِ إِذَا دَعَاكُمْ لِمَا يُحْيِيكُمْ ای باایمانو اَسہِ یُس حُکماہ کور تُوہہ یِمہِ برونٹھ کہِ تعمیل احکام تہ اطاعت و فرمانبرداری کٔرِو، تہ کرُ اَسہِ تھندی فایدہ خیطرہ تِمہِ سیتِ بنہِ تُہنز حیاتِ اَبدی۔ لہذا مانوِ حُکم خدایہ سُند بیہِ پیغمبر خدایہ سُندیلہِ نادیہِ توہہِ سُو پیغمبر خدا تتھ کامہِ کُن یُوسہ توہہ زِندہ تھاوِہ یعنی دِینس کُن۔ یِمہِ سیتِ دائمی زندگی میسر سپدان چھہ وَاعْلَمُوا أَنَّ اللَّهَ يَحُولُ بَيْنَ الْمَرْءِ وَقَلْبِهِ بیہِ زانوِ اکھہ کتھ کہ اللہ تعالیٰ چھُو ٹھور سپدان

وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ يَحُوْلُ بَيْنَ الْمَرْءِ وَقَلْبِهٖ وَاَنَّهٗٓ اِلَيْهِ تُحْشَرُوْنَ ﴿٢٤﴾ وَاتَّقُوْا فِتْنَةً لَّا تُصِيْبَنَّ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مِنْكُمْ خَآصَّةً ۚ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ﴿٢٥﴾ وَاذْكُرُوْٓا اِذْ اَنْتُمْ قَلِيْلٌ مُّسْتَضْعَفُوْنَ فِى الْاَرْضِ تَخَافُوْنَ اَنْ يَّتَخَطَّفَكُمُ النَّاسُ فَاٰوٰىكُمْ وَاَيَّدَكُمْ بِنَصْرِهٖ وَرَزَقَكُمْ

---

شخص تہ تہند س دِلس منز دُویو طریقو۔ اکھ گو با ایمانہ سندس دِلس چھُونہ اطاعتہ کہ برکتہ کفرو معصیتس کُن نوان۔ بیاکھ گو کافرہ سندس دِلس چھُونہ مُخالفتہ شامتہ تہ نحوستہ ایمان واطاعتس کُن کانہہ اَتھ وتھہ دِوان۔ امی اندرہ سپُد معلوم طاعت و فرمانبرداری پیٹھ مداومت تہ ڈاڈ کرن چھہ سیٹھہ مُفید۔ مُخالفتس تہ نافرمانی پیٹھ ڈاڈ کرنِ چھہ سیٹھاہ مضرِ وَاَنَّهٗٓ اِلَيْهِ تُحْشَرُوْنَ بیہ زانوِ یہ کتھ کہ تُہہ ساریِ ایو تَس معبُود برحقس نِشہِ سونبرنہ۔ سُوی دِیہ فرمانبردارَن رُت جزا نافرمانن سخت سزا۔ یتھہ پاٹھہ توہہ بیٹھ پننہ اصلاحہ خیطرہ فرمانبرداری واجب چھہ یتھے پاٹھِ چھُو واجب توہہ پیٹھ بین لُوکن ہند اصلاح کرُن۔ تمن منز فرمانبرداری ہُند شوق پیدہ کرُن۔ اَتھہ سیت۔ ہر گاہ مُمکن سپدیُس زیوہِ سیت۔ ہر گاہ مُمکن سپدیُس تعلقات ژٹنہ سیت۔ ہر گاہ مُمکن سپدیُس یا صرف دِلس اَندر نفرت کرنہ سیتِ۔ یہ گوٗ یِثم درجہ ایمانُک۔ ورنہ یُس مداہنت کرِہ یعنی گناہ ڈچھہِ توپتہ کرہ نہ تتھہ تردید تلہِ چھُو تمہِ گنہگ وبال تہ سزا تَس شخصس تہِ۔ یلہ حقیقت یہ چھہ وَاتَّقُوْا فِتْنَةً لَّا تُصِيْبَنَّ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مِنْكُمْ خَآصَّةً لہٰذا اکھُو ژِوتھہ بلایہ یُؤسہ نہ خاص تمی یاژ دلنہ اِیہِ۔ یمو توہہ اندر ظلم و نافرمانی کر بلکہ سپدَن تتھ منز ساری گرفتار وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ شَدِيْدُ الْعِقَابِ بیہ زانوِ کہ اللہ تعالیٰ سُند عذاب چھُو سیٹھاہ سخت وَاذْكُرُوْٓا اِذْ اَنْتُمْ قَلِيْلٌ مُّسْتَضْعَفُوْنَ فِى الْاَرْضِ بیہ پاوِو ژٹیس یلہ تُہہ ہجرتہ برونٹھ کم تہ کمزور آسوہ مکہ شریفس اندر تَخَافُوْنَ اَنْ يَّتَخَطَّفَكُمُ النَّاسُ نٹھ آسوہ کہ تھپہ ماننوہ لُوکھ فَاٰوٰىكُمْ وَاَيَّدَكُمْ بِنَصْرِهٖ تتھ حالس اندر دِژوہ چھپن جای خدا ایِن مدینہ شریفس اندر۔ بیہ کرنوہ تائید پننہ مددہ سیت وَرَزَقَكُمْ مِّنَ الطَّيِّبٰتِ لَعَلَّكُمْ

مِّنَ الطَّيِّبٰتِ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ﴿٢٦﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا
تَخُوْنُوا اللّٰهَ وَالرَّسُوْلَ وَتَخُوْنُوْٓا اَمٰنٰتِكُمْ وَاَنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿٢٧﴾
وَاعْلَمُوْٓا اَنَّمَآ اَمْوَالُكُمْ وَاَوْلَادُكُمْ فِتْنَةٌ ۙ وَّاَنَّ اللّٰهَ
عِنْدَهٗٓ اَجْرٌ عَظِيْمٌ ﴿٢٨﴾ ع يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِنْ تَتَّقُوا اللّٰهَ
يَجْعَلْ لَّكُمْ فُرْقَانًا وَّيُكَفِّرْ عَنْكُمْ سَيِّاٰتِكُمْ وَيَغْفِرْ لَكُمْ ؕ

---

تَشْكُرُوْنَ بيه ڪرنوهه رُت رزق عطا ڪيٿه تُهه شڪرگذاري ڪرو يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَخُوْنُوا اللّٰهَ وَالرَّسُوْلَ اي باايمانو اس ڇهِ توهه مخالفته ته نافرماني نِشهِ ـ تمهِ مُوکهه مُمانعت ڪران ڪهِ توهه پيٺه ڇهِ خدايهِ سندِ ته پيغمبر خدايهِ سندِ ڪهنه حق مٿهِ ـ تمِ بجاانهه سيتِ واته توهه نفع ته فائيده ـ نافرماني سيتِ ڇهُو تمن حقوقن اندر خلل ته نقصان واقع سپدان ـ تمهِ سيتِ تُهندِه سئ نفعس ته فايدس منز خلل ته نقصان واقع سپدان ڇهُو ـ يلهِ يهِ ڪٿهه توهه فڪرِه تره ـ لهٰذا امهِ تراوو خلل بيهِ مهِ ڪرو خيانت خداور سُوله سندين حقن اندر وَتَخُوْنُوْٓا اَمٰنٰتِكُمْ وَاَنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ يهِ گو حقيقتس اندر تُهند پنه نين قابل حِفاظت چيزن اندر خلل ته نقصان واتناؤن ـ دِيده و دانسته ـ زانتهه ڪرِ تهه ـ اڪثر اوقات ڇهُو مالُک ته اولادن هند محبت مُخِل سپدان خداو رسُوله سنزِه فرمانبرداري ـ لهٰذا دِيو تُهه خداور سُوله سندِس محبّت و اطاعتس ترجيح مال و اولادن هندِس محبتس پيٺه ـ يُتهه اسِ وڇهو ڪهه اڪهاه ڇهُو مال و اولادن هندِس محبت ترجيح دوان سانس محبتس پيٺه
وَاعْلَمُوْٓا اَنَّمَآ اَمْوَالُكُمْ وَاَوْلَادُكُمْ فِتْنَةٌ وَّاَنَّ اللّٰهَ عِنْدَهٗٓ اَجْرٌ عَظِيْمٌ وارهه زانوِ ڪهه تُهند مال ته اولاد ڇهِ لِهِ آزمايش ته اِمتحانُک چيزيهِ زانوِ ڪهه الله تعاليٰ اَس نشِ ڇهه بڊ مزور تمن لُوڪن هندِه خيطره تمِ تهندُوي محبت زياده ٿاوان ڇهِ بين ساري هندِه خو ته يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِنْ تَتَّقُوا اللّٰهَ يَجْعَلْ لَّكُمْ فُرْقَانًا اي باايمانو هرگاه تُهه ڪهُو ڙو خدايس ، تُهنز ڪرو پُور اِطاعت سُو ڪرِه توهه امتيازي نِشاناه عطا وَّيُكَفِّرْ عَنْكُمْ سَيِّاٰتِكُمْ وَيَغْفِرْ لَكُمْ وَاللّٰهُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِيْمِ بيهِ ڪرِه دُور تهنزِه بديهِ بيهِ ڪرِه مغفرت توهه ساري گُنهن ـ الله تعاليٰ ڇهُو بوڊ فضله ڊول ـ پنهِ فضله سيتِ ڪرِه سُو امه علاوه خبر ڪم ڪم چيز عطا ـ تمِ نه وهم و

وَاللّٰهُ ذُو الْفَضْلِ الْعَظِيْمِ ﴿۲۹﴾ وَاِذْ يَمْكُرُ بِكَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِيُثْبِتُوْكَ اَوْ يَقْتُلُوْكَ اَوْ يُخْرِجُوْكَ ؕ وَيَمْكُرُوْنَ وَيَمْكُرُ اللّٰهُ ؕ وَاللّٰهُ خَيْرُ الْمٰكِرِيْنَ ﴿۳۰﴾ وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا قَالُوْا قَدْ سَمِعْنَا لَوْ نَشَآءُ لَقُلْنَا مِثْلَ هٰذَآ ۙ اِنْ هٰذَآ اِلَّآ اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ ﴿۳۱﴾ وَاِذْ قَالُوا اللّٰهُمَّ اِنْ كَانَ هٰذَا هُوَ الْحَقَّ مِنْ عِنْدِكَ فَاَمْطِرْ عَلَيْنَا حِجَارَةً مِّنَ السَّمَآءِ

---

گُمانس اندر ہیکن یتھ وَاِذْ يَمْكُرُ بِكَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِيُثْبِتُوْكَ اَوْ يَقْتُلُوْكَ اَوْ يُخْرِجُوْكَ بیہ یاد وِتھ تیس یلہ کافرِ توہہِ مُتعلق تدبیر تہ مشورہ کران آس دار الندوس اندر سوچان آسِ تُہندہِ خیطرہ قید کرنہ خیطرہ یا قتل کرنہ خیطرہ۔ یا جلاوطن کرنہ خیطرہ مختلف تدابیر وَيَمْكُرُوْنَ وَيَمْكُرُ اللّٰهُ تمِ آسِ پننہ خیالہ تدبیر سُوچان اللہ تعالیٰ تہ اُوس پننِ تدابیر کران تہند تدابیر باطل و بیکار کرنہ خیطرہ وَاللّٰهُ خَيْرُ الْمٰكِرِيْنَ اللہ تعالیٰ چھُو بہتر تہ رُت مضبوط تدبیر کرہ وُن۔ چنانچہ تہندِ ساری تدبیر سپدِ ناکام۔ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم واتناو اللہ تعالیٰ اَن تمنِ کافرن برونٹھ کن پکناوِ تھ وارہ کارہ بصحت و سلامتی مدینہ منوّرس منز وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا قَالُوْا قَدْ سَمِعْنَا لَوْ نَشَآءُ لَقُلْنَا مِثْلَ هٰذَآ بیہ یلہِ پرنہ آسِ یوان تمن کافرن برونٹھ کنہِ سانِ آیات۔ وَنان آسِ تمِ بیشک اَسہِ بُوزِ یہ کلام یہ چھُونہ کانہہ مُعجزہ۔ ہرگاہ اسِ ارادہ کرَو اسِ تہ ہیکو یتھ کلام پیش کرتھ اِنْ هٰذَآ اِلَّآ اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ یہ چھُونہ کنہ تہ مگر بے دلیل کتھ پونشہِ۔ یمہ کتھ برونٹھمین نشہِ نقل کرنہ آمژہ چھ وَاِذْ قَالُوا اللّٰهُمَّ اِنْ كَانَ هٰذَا هُوَ الْحَقَّ مِنْ عِنْدِكَ فَاَمْطِرْ عَلَيْنَا حِجَارَةً مِّنَ السَّمَآءِ اَوِ ائْتِنَا بِعَذَابٍ اَلِيْمٍ امہِ خوتہ چھ قابلِ ذِکر یہ کتھ کہ تمِ آسِ وَنان کہ خدایا ہرگاہ یہ قرآن مجید پزِ پاٹھِ چھُو چانی طرفہ تلہ تراو تمکہ نہ ماننہ خیطرہ اَسہِ پیٹھ آسمانکہ طرفہ گنہِ رُود۔ نتہ واتناو اَسہ نِشہ کُڈر عذاب۔ یہ آس نہ تمن خبر کہ خدایہ سنزن کامین اندر چھ خاص مصلحوہ آسان عذاب نہ کرہ نُس منز چھ کیہنہ وجوہ آسان تمن وجوہَن تہ موانعن ہُند بیان چھُو امہِ پتہ۔

أَوِ ائْتِنَا بِعَذَابٍ أَلِيمٍ ﴿٣٢﴾ وَمَا كَانَ اللَّهُ لِيُعَذِّبَهُمْ وَأَنتَ فِيهِمْ ۚ وَمَا كَانَ اللَّهُ مُعَذِّبَهُمْ وَهُمْ يَسْتَغْفِرُونَ ﴿٣٣﴾ وَمَا لَهُمْ أَلَّا يُعَذِّبَهُمُ اللَّهُ وَهُمْ يَصُدُّونَ عَنِ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ وَمَا كَانُوا أَوْلِيَاءَهُ ۚ إِنْ أَوْلِيَاؤُهُ إِلَّا الْمُتَّقُونَ وَلَٰكِنَّ أَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُونَ ﴿٣٤﴾ وَمَا كَانَ صَلَاتُهُمْ عِندَ الْبَيْتِ إِلَّا مُكَاءً وَتَصْدِيَةً ۚ فَذُوقُوا الْعَذَابَ بِمَا كُنتُمْ تَكْفُرُونَ ﴿٣٥﴾ إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا يُنفِقُونَ

---

وَمَا كَانَ اللَّهُ لِيُعَذِّبَهُمْ وَأَنتَ فِيهِمْ الله تعالیٰ کره نه هرگز تِن عذاب ڏيهه تن منز موجود آسنکس حالَس اندر وَمَا كَانَ اللَّهُ مُعَذِّبَهُمْ وَهُمْ يَسْتَغْفِرُونَ بيهِ کتھ پاڅھِ کرِہا الله تعالیٰ تِمن عذاب يته حالَس اندر تمِ آسهن کُنهِ کُنهِ وقتہ کُفرکهِ رَسمه مُطابق مغفرت منگان۔ طواف کران کران "غفرانک" پران وَمَا لَهُمْ أَلَّا يُعَذِّبَهُمُ اللَّهُ تِمن کیاه خصوصیت آس کهِ تِمن کرِہا نه الله تعالیٰ عذاب وَهُمْ يَصُدُّونَ عَنِ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ حالانکهِ تمِ آسِ بڈ گناه کران لُوکن تہ پیغمبر برحقس آسِ پتھ رٹان مسجدِ حرامَس نِکهه اِنه نِشهِ۔ وَمَا كَانُوا أَوْلِيَاءَهُ حالانکهِ آسِ نه تمِ لُوکھ مسجده هندِ متولّی تہ اختیاره وال۔ تِہُنج قابلیتهی آس نه تِمن۔ کُنه طریقه اُوس نه تِمن تہ کرُنگ حق إِنْ أَوْلِيَاؤُهُ إِلَّا الْمُتَّقُونَ تمکِ اختیاره والِ تہ متولی آسنِچ قابلیّت چھنه مگر پرہیزگار بندن تمِ گئے باایمان وَلَٰكِنَّ أَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُونَ لیکن تمو اندره چھه ڈیٹھ کیتِ تِمن نه اَمِچ یعنی پننهِ ناقابلیتِچ خبری چھه وَمَا كَانَ صَلَاتُهُمْ عِندَ الْبَيْتِ إِلَّا مُكَاءً وَتَصْدِيَةً بیهِ آسِ نه نماز تهنز خانه کعبس نِشهِ مگر آسُو سیتِ شرین وائین۔ بیهِ اَتھو سیتِ ٹرهِ پُوپ کرُن اتهه نامعقول حرکتس آسِ نمازونان فَذُوقُوا الْعَذَابَ بِمَا كُنتُمْ تَكْفُرُونَ لهذا ژهِووونِ عذاب تمهِ کُفره بدَل یُس تُهه کران آسِوه إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا يُنفِقُونَ أَمْوَالَهُمْ لِيَصُدُّوا عَن سَبِيلِ اللَّهِ

أَمْوَالَهُمْ لِيَصُدُّوا عَنْ سَبِيلِ اللّٰهِ ۚ فَسَيُنْفِقُونَهَا ثُمَّ

تَكُونُ عَلَيْهِمْ حَسْرَةً ثُمَّ يُغْلَبُونَ ۬ وَالَّذِينَ كَفَرُوٓا

إِلَىٰ جَهَنَّمَ يُحْشَرُونَ ﴿٣٦﴾ لِيَمِيزَ اللّٰهُ الْخَبِيثَ مِنَ الطَّيِّبِ وَ

يَجْعَلَ الْخَبِيثَ بَعْضَهُ عَلَىٰ بَعْضٍ فَيَرْكُمَهُ جَمِيعًا

فَيَجْعَلَهُ فِي جَهَنَّمَ ۚ أُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُونَ ﴿٣٧﴾ قُلْ لِلَّذِينَ

كَفَرُوٓا إِنْ يَنْتَهُوا يُغْفَرْ لَهُمْ مَا قَدْ سَلَفَ ۚ وَإِنْ يَعُودُوا

---

پڙ پاڻ تمِ ڪافر ڇهِ تمِ ڇهِ مال پنهن خرچ ڪران لوڪن منزِ خدا ايه سنزه وتهِ نشهِ پتهه رٽنه خيطره۔ هئوگيه تهنز بدني عِبادت يه گيهِ تهنز مالي عِبادت فَسَيُنْفِقُونَهَا ثُمَّ تَكُونُ عَلَيْهِمْ حَسْرَةً ثُمَّ يُغْلَبُونَ آينده ته روزن تمِ امهِ خيطره مال خرچ ڪران۔ پتهِ لاڪه سپدِه سُو مال تهندِه خيطره حسر تگ سبب۔ پتهِ لاڪه سپدن مغلوبِ ته ذليل۔ يهِ گوکهه دُنياءُڪ عذاب۔ آخر تگ عذاب گوکهه الگ وَالَّذِينَ كَفَرُوٓا إِلَىٰ جَهَنَّمَ يُحْشَرُونَ يمِو لوکو ڪُفر ڪور تمِ ساري ين سونبراونه قيامتک دُوه جهنمس منز سوزنه خيطره لِيَمِيزَ اللّٰهُ الْخَبِيثَ مِنَ الطَّيِّبِ يُته الله تعالىٰ الگ ڪرهِ ناپاڪ لوکن پاڪ لوکو نشهِ وَيَجْعَلَ الْخَبِيثَ بَعْضَهُ عَلَىٰ بَعْضٍ بيهِ ديهِ برِ ته ناپاڪ لوکن اکه اکس پيٺه فَيَرْكُمَهُ جَمِيعًا فَيَجْعَلَهُ فِي جَهَنَّمَ يعني اکه اکس سيتِ نکه نکه ٿاوِته ڪهارِه تمن سارِني اکه ڈيراه۔ تو پته دِيڇه يکه وٽه برِ ته جهنمس منز أُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُونَ تمِ لوکه ڪيا گئے تاوان زديته تاوان زدگي نهاتهي ڇهونه قُلْ لِلَّذِينَ كَفَرُوٓا إِنْ يَنْتَهُوا يُغْفَرْ لَهُمْ مَا قَدْ سَلَفَ فرماوِيُو ڪهه تهه يارسُول الله صلى الله عليه وسلّم ڪافرِن تمن برو نهم مضمُون بُوزِ ته ڪيهنه اثر سپدُ مت آسهِ ڪهِ هر گاه تمِ ڪُفره ته شرِڪه نِشهِ پته رُوز ته مُسلمان سپدن تمن ايهِ برو ٿهس ساري بخشائش ڪرنه وَإِنْ يَعُودُوا فَقَدْ مَضَتْ سُنَّتُ الْأَوَّلِينَ هر گاه دُوباره بيهِ ڪُفرے ڪرن بدستور روزن ڪُفر سي پيٺه۔ پس ڇهِ برو نهين ڪافرن هنز روِش گذرے مڙي۔ تمِو ڪياه ڪور ته تمن ڪياه بنيوَ وَقَاتِلُوهُمْ حَتّٰى لَا تَكُونَ فِتْنَةٌ تهه ڪرِ ويار سُول الله تمن ڪافرن سيتِ جهاد۔ هر گاه تمِ ڪُفرسِ

فَقَدْ مَضَتْ سُنَّتُ الْاَوَّلِیْنَ ﴿۳۸﴾ وَقَاتِلُوْهُمْ حَتّٰى لَا تَكُوْنَ فِتْنَةٌ وَّيَكُوْنَ الدِّيْنُ كُلُّهٗ لِلّٰهِ ۚ فَاِنِ انْتَهَوْا فَاِنَّ اللّٰهَ بِمَا يَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ ﴿۳۹﴾ وَاِنْ تَوَلَّوْا فَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ مَوْلٰىكُمْ ۭ نِعْمَ الْمَوْلٰى وَنِعْمَ النَّصِيْرُ ﴿۴۰﴾ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّمَا غَنِمْتُمْ مِّنْ شَيْءٍ فَاَنَّ لِلّٰهِ خُمُسَهٗ وَلِلرَّسُوْلِ وَلِذِي الْقُرْبٰى وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنِ وَابْنِ السَّبِيْلِ ۙ اِنْ كُنْتُمْ اٰمَنْتُمْ بِاللّٰهِ وَمَآ اَنْزَلْنَا عَلٰى عَبْدِنَا يَوْمَ

---

پيٺ روزن ٻوٽان يہ شرڪ وڪفر ڪ فتنے سپڙه ختم۔ وَّيَكُوْنَ الدِّيْنُ كُلُّهٗ لِلّٰهِ پريتھ طرفہ پھيلہ دين خدايہ سنڌوي فَاِنِ انْتَهَوْا فَاِنَّ اللّٰهَ بِمَا يَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ توپتہ ہرگاه تمِ پتھ روزن ڪفره نشہ الله تعالٰى ڇھو تھنزه سارے ڪامہِ ڏچھان وَاِنْ تَوَلَّوْا فَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ مَوْلٰىكُمْ نِعْمَ الْمَوْلٰى وَنِعْمَ النَّصِيْرُ ہرگاه تمِ روگرداني ڪرن۔ تُهہ رُوزِو مضبوط۔ خدايہ سُند ناوھيتھ ڪرِ وتُهند مقابلہ۔ تُهہ زانوِ پزِ پاٺہِ ڪہ الله تعالٰى ڇھو تُهند رفيق۔ سُوي ڇھو رُت رفيق تہ رُت مددگار تُهند وَاعْلَمُوْٓا اَنَّمَا غَنِمْتُمْ مِّنْ شَيْءٍ فَاَنَّ لِلّٰهِ خُمُسَهٗ وَلِلرَّسُوْلِ وَلِذِي الْقُرْبٰى وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنِ وَابْنِ السَّبِيْلِ بيہ زانوِ يہ ڪتھہ وارہ ڪہِ بتحقيق يہ ڪنيژھاه تُوہہ ڪافرِن نشہِ مال غنيمت حاصِل ڪرِو پَس ڇھو تميڪ حُڪم۔ تتھ سارسي گژھن پانژھہ حِصہّ ڪرنہ ين۔ توپتہ گژھن تتھ پانژِمس حِصّس بيہ پانژھہ حصّہ ڪرنہ ين۔ تمہِ منزه پانژتم حِصہّ خدايس تہ تھندِس پيغمبرہ سندِه خيطره ٿھاون۔ نبي ڪريم صلى الله عليہ وسلم ڪرن نيابتہً خدايہِ سُند حِصہّ وصُول توپتہ ڪرن تمِ خرچ تمہِ منزه پننہ نين ذاتي اخراجاتن پيٺھ۔ بيہ پننہ نين اہلِ قرابتن پيٺھ يمو ابتداء پيٺھ تمن نُصرت ومدد ڪور۔ بنيِ ہاشم، بنی مطلبو اندره يمن زڪوٰة رٹنِ ڇھہ حرام، بيہ يتيمن تہ حاجت مند مُسلمانن پيٺھ۔ بيہ مُسافرِن پيٺھ۔ تمہِ پتہ يم ژور حِصہّ مالِ غنيمتڪِ باقي ڇھہِ تمِ ين

الْفُرْقَانِ يَوْمَ الْتَقَى الْجَمْعٰنِ ؕ وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۴۱﴾
اِذْ اَنْتُمْ بِالْعُدْوَةِ الدُّنْيَا وَهُمْ بِالْعُدْوَةِ الْقُصْوٰى وَ
الرَّكْبُ اَسْفَلَ مِنْكُمْ ؕ وَلَوْ تَوَاعَدْتُّمْ لَاخْتَلَفْتُمْ فِي
الْمِيْعٰدِ ۙ وَلٰكِنْ لِّيَقْضِيَ اللّٰهُ اَمْرًا كَانَ مَفْعُوْلًا ۙ۬ لِّيَهْلِكَ
مَنْ هَلَكَ عَنْۢ بَيِّنَةٍ وَّيَحْيٰى مَنْ حَيَّ عَنْۢ بَيِّنَةٍ ؕ وَاِنَّ

---

لشکرِ پیٹھ تقسیم کرنہٕ۔ سوارس زٕ حِصّہٕ، پتھر پکہ وٲنس اکھ حِصہٕ اِنْ كُنْتُمْ اٰمَنْتُمْ بِاللّٰهِ وَمَآ اَنْزَلْنَا عَلٰى عَبْدِنَا يَوْمَ الْفُرْقَانِ يَوْمَ الْتَقَى الْجَمْعٰنِ ہرگاہ توہہِ پژھ کروہ خُدایس۔ بیہ کوروہ تٔس پیٹھ یقین۔ بیہ تتھ پیٹھ یہِ اَسہِ نازِل کور پنہٕ نِس بندہٕ خاصَس، حضرتِ محمدس پیٹھ صلی اللہ علیہٖ وسلّم فیصلہِ دوہہٕ۔ یَعنی جنگِ بدرکہِ دوہہٕ۔ یمہِ دوہہٕ زٕ جماژ باایمان تہٕ کافرِ، اورہ یوٗر مُقابل سپدِ ہ۔ یوم الفرقانہ اندر چھُو مُراد جنگِ بدرُک دوہ۔ یمہِ دوہہٕ پزِس تہٕ اَپزِس فرق آیہِ کرنہٕ وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِيْرٌ اللہ تعالیٰ چھُو پریتھ چیزَس پیٹھ پوٗر قدرتہٕ ڈول اِذْ اَنْتُمْ بِالْعُدْوَةِ الدُّنْيَا وَهُمْ بِالْعُدْوَةِ الْقُصْوٰى یمہِ دوہہٕ تُہہٕ آسِوہ اے باایمانوٗ میدانِ جنگہٕ کِس کِنارس پیٹھ یُس مدینہ شریفس نزدیک اوٗس۔ کافر آسِ میدانہ کِس تتھ کِنارس پیٹھ یُس مدینہ شریفہ نشہٕ دور اوٗس۔ وَالرَّكْبُ اَسْفَلَ مِنْكُمْ ابو سُفیانہ سُنْد قافِلہ اوٗس توہہِ بوٗنمہِ طرفہ سمندرہ کِس کِنارس قریب پکان وَلَوْ تَوَاعَدْتُّمْ لَاخْتَلَفْتُمْ فِي الْمِيْعٰدِ ہرگاہ تُہہٕ فریقین پانہٕ وانِ جنگ کرنہٕ خیطرہ کانہہ وقتاہ مُقرر کرِہ ہو۔ تتھ وَقتس منز گژھِہ ہوہ توہہِ اِختلاف تہٕ پَس وپیش مُمکن اوٗس کہِ پنہٕ کم سامان آسنہٕ موٗکھہ میلِیہو ہوٗنہ تُہہ وقتس پیٹھ وَلٰكِنْ مگر اللہ تعالیٰ ہَن سو نبراوِوہ تُہہٕ اورہ یوٗر وقت مُقرّر کرنہٕ ورای لِّيَقْضِيَ اللّٰهُ اَمْرًا كَانَ مَفْعُوْلًا یُتھ اللہ تعالیٰ جاری کرہ سو حُکم یُس تمِس کرُن اوٗس یعنی عزّتِ اِسلام شکستِ کُفر لِّيَهْلِكَ مَنْ هَلَكَ عَنْۢ بَيِّنَةٍ وَّيَحْيٰى مَنْ حَيَّ عَنْۢ بَيِّنَةٍ یہِ تدبیر کٔر اللہ تعالیٰ اَن یُتھ یہِ نٔن قدرتُک چھت ہلاک گژھہ وَن تہٕ ہلاک گژھہ دَلیل ڈچھت۔ زندہ روزِہ یُس زِندہ روزِہ دلیل ڈچھت۔ یَعنی پریتھ اکِس سپدِ ہ معلوم قدرتِ خدا۔ کتھہ پاٹھِ

اللّٰهَ لَسَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ﴿٤٢﴾ اِذْ يُرِيْكَهُمُ اللّٰهُ فِيْ مَنَامِكَ قَلِيْلًا ؕ وَلَوْ اَرٰىكَهُمْ كَثِيْرًا لَّفَشِلْتُمْ وَلَتَنَازَعْتُمْ فِي الْاَمْرِ وَلٰكِنَّ اللّٰهَ سَلَّمَ ؕ اِنَّهٗ عَلِيْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ ﴿٤٣﴾ وَاِذْ يُرِيْكُمُوْهُمْ اِذِ الْتَقَيْتُمْ فِيْٓ اَعْيُنِكُمْ قَلِيْلًا وَّيُقَلِّلُكُمْ فِيْٓ اَعْيُنِهِمْ لِيَقْضِيَ اللّٰهُ اَمْرًا كَانَ مَفْعُوْلًا ؕ وَاِلَى اللّٰهِ تُرْجَعُ الْاُمُوْرُ ﴿٤٤﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا لَقِيْتُمْ فِئَةً

---

کٔر تمِ نٔن یاری مُسلمانن۔ سازو سامانہ ورای کٔر بٔکھ فتح عطا وَاِنَّ اللّٰهَ لَسَمِيْعٌ عَلِيْمٌ بیہِ چھُو بیشک اللہ تعالیٰ سُوری بُوزہ وُن، سو رُوی زانہ وُن اِذْ يُرِيْكَهُمُ اللّٰهُ فِيْ مَنَامِكَ قَلِيْلًا سُو وقت تہِ چھُو یاد کرُنس قابلِ یلہِ اللہ تعالیٰ اَن ہاوِوہ توہہِ کافرِن ہنز لشکر خوابس منز کم وَلَوْ اَرٰىكَهُمْ كَثِيْرًا لَّفَشِلْتُمْ ہرگاہ توہہِ ہاوِہ ہوہ سو لشکر زیادہ تعداد کِن تلہِ سپدِہ ہوِ تُہہ کم ہمّت وَلَتَنَازَعْتُمْ فِي الْاَمْرِ بیہِ کرِہ ہوِ تُہہ ضُرور اِختلاف جہاد کرُنس اندر وَلٰكِنَّ اللّٰهَ سَلَّمَ لیکن اللہ تعالیٰ اَن تھاوِوہ تمِو دو شوی چیزو نِشہِ بَسلامت۔ نہ کٔروہ توہہِ اِختلاف نہ سپدِوہ تُہہ کم ہمّت اِنَّهٗ عَلِيْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ پزِ پاٹھہِ سُو چھُو پُور زانہ وُن دِلَن ہنزہ کتھہ۔ وَاِذْ يُرِيْكُمُوْهُمْ اِذِ الْتَقَيْتُمْ فِيْٓ اَعْيُنِكُمْ قَلِيْلًا وَّيُقَلِّلُكُمْ فِيْٓ اَعْيُنِهِمْ بیہِ پاوِو ژٔتیس یلہِ اللہ تعالیٰ اَن تہنزَن نظرن اندر اَنِ تمِ کمی یمہِ ساتہ توہہِ مُقابلہ ہیوتوہ کرُن۔ تہنزَن نظرن منز تہِ اِنوہ تُہہ کمی یُتھ جانبین مُقابلُک جذبہ مضبوط سپدِہ۔ لِيَقْضِيَ اللّٰهُ اَمْرًا كَانَ مَفْعُوْلًا یہِ تہِ کور اللہ تعالیٰ اَن یُتھ سُو پوُرہ کرِہ تتھ حُکمس یُس تمِس بہر حال کرُن اوس۔ عزتِ اسلام۔ شکستِ کُفر وَاِلَى اللّٰهِ تُرْجَعُ الْاُمُوْرُ خدایہِ سی کُن چھہِ سارے کامہِ رجُوع کران يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اِذَا لَقِيْتُمْ فِئَةً فَاثْبُتُوْا وَاذْكُرُوا اللّٰهَ كَثِيْرًا لَّعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ اَی بایمانو یلہِ تُہہ جہادس منز سمکھان آسِو کافرن ہندِس کُنہِ جماعتس سیت۔ تمہِ ساتہ گژھہِ تمن چیزن ہُند پُورہ خیال تھاوُن اکھہ گژھہِ ثابتِ قدم روزُن، ژُلُن گژھہ نہ۔ بیہِ گژھہِ سیٹھا یادِ خدا کرُن یُتھ تُہہ کامیاب سپدِو۔ یادِ خدا سیتِ

فَاثْبُتُوْا وَاذْكُرُوا اللّٰهَ كَثِيْرًا لَّعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ ۚ ﴿٤٥﴾

وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ وَلَا تَنَازَعُوْا فَتَفْشَلُوْا وَتَذْهَبَ

رِيْحُكُمْ وَاصْبِرُوْا ؕ اِنَّ اللّٰهَ مَعَ الصّٰبِرِيْنَ ۚ ﴿٤٦﴾ وَلَا تَكُوْنُوْا

كَالَّذِيْنَ خَرَجُوْا مِنْ دِيَارِهِمْ بَطَرًا وَّرِئَآءَ النَّاسِ وَ

يَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ؕ وَاللّٰهُ بِمَا يَعْمَلُوْنَ مُحِيْطٌ ﴿٤٧﴾

وَاِذْ زَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ اَعْمَالَهُمْ وَقَالَ لَا غَالِبَ لَكُمُ

الْيَوْمَ مِنَ النَّاسِ وَاِنِّيْ جَارٌ لَّكُمْ ۚ فَلَمَّا تَرَآءَتِ الْفِئَتٰنِ

---

چھُو دِل قوی سَپدان وَاَطِيْعُوا اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ بیہِ گژھہِ خدایہِ سنز بیہِ تِہندِس پیغمبرہ سنز فرمانبرداری کرن کانہہ کاماہ گژھہ نہ خلاف شرع سَپدِن وَلَا تَنَازَعُوْا فَتَفْشَلُوْا وَتَذْهَبَ رِيْحُكُمْ بیہِ گژھہ نہ پانہ وان ہرہ ہرتہ قضیہِ کرُن تمہِ سیتِ گژھو پست ہمّت تہ سُست۔ بیہِ ووتھہِ تُہند رعب وداب لُوکنِ ہنزن نظرن اندر وَاصْبِرُوْا بیہِ کُرو صبر اِنَّ اللّٰهَ مَعَ الصّٰبِرِيْنَ پزٕ پاٹھہِ اللہ تعالیٰ چھُو صبر کرہ وَنین سیتِ سیتِ۔ تمسُند سیتِ آسنُوی چھُو نُصرتک باعثِ وَلَا تَكُوْنُوْا كَالَّذِيْنَ خَرَجُوْا مِنْ دِيَارِهِمْ بَطَرًا وَّرِئَآءَ النَّاسِ بیہِ مہ آسوتھہ تِمن کافرِ لوٗکن ہی یم درای اَتھ جنگس منز پنہ نیو شہر ومنزہ تکبر وغرورہ سان۔ بیہِ لُوکن تھیکان وَيَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بیہِ درای لُوکھ پتھ رٹنہ خیطرہ خدایہِ سنزِہ وتہِ نشہِ۔ وَاللّٰهُ بِمَا يَعْمَلُوْنَ مُحِيْطٌ اللہ تعالیٰ چھُو تہنزن سارنِی کامین احاطہ کرہ وُن وَاِذْ زَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ اَعْمَالَهُمْ بیہِ کُرو وسُودوہ یاد یمہِ دوہہ شیطانن تِمن کافرن اَندر وسوسکہِ ذریعہ زینت دُیت وَقَالَ لَا غَالِبَ لَكُمُ الْيَوْمَ مِنَ النَّاسِ دُوپنکھہ اَزپُوشہِ نہ توہہ کانہ تہِ لُوکو اندرہ وَاِنِّيْ جَارٌ لَّكُمْ بُہ چھُوس پانہ تُہند مددگار فَلَمَّا تَرَآءَتِ الْفِئَتٰنِ نَكَصَ عَلٰى عَقِبَيْهِ اَدہ یمہِ ساتہ

نَكَصَ عَلٰى عَقِبَيْهِ وَقَالَ اِنِّيْ بَرِيْٓءٌ مِّنْكُمْ اِنِّيْٓ اَرٰى مَا لَا تَرَوْنَ اِنِّيْٓ اَخَافُ اللّٰهَ ۭ وَاللّٰهُ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ﴿٤٨﴾ اِذْ يَقُوْلُ الْمُنٰفِقُوْنَ وَالَّذِيْنَ فِيْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ غَرَّ هٰٓؤُلَاۗءِ دِيْنُهُمْ ۭ وَمَنْ يَّتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ فَاِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿٤٩﴾ وَلَوْ تَرٰٓى اِذْ يَتَوَفَّى الَّذِيْنَ كَفَرُوا الْمَلٰۗىِٕكَةُ يَضْرِبُوْنَ وُجُوْهَهُمْ وَاَدْبَارَهُمْ ۚ وَذُوْقُوْا عَذَابَ الْحَرِيْقِ ﴿٥٠﴾ ذٰلِكَ

---

دوشِوے جماژ (بایمانن تہ کافرن ہنز) اکھ اَکس مُقابلہ لجہِ شیطانس آو بُوزنہ ملائکن ہُند نازِل سپدُن۔ تِتھے ژول سُو پُوت پوتے وَقَالَ اِنِّيْ بَرِيْٓءٌ مِّنْكُمْ اِنِّيْٓ اَرٰى مَا لَا تَرَوْنَ فندو، فریبو تہ اَپزیو وعدو سیت ناوِ والِتھ لوگکھ دَپنہ مہِ چھو نہ توہہِ سیتِ کانہہ واسطہ۔ بُو چھُس وُچھان تی یہِ نہ توہہِ بُوزنہ یوان چھُو اِنِّيْٓ اَخَافُ اللّٰهَ ۭ وَاللّٰهُ شَدِيْدُ الْعِقَابِ بُو چھُس کھوژان خدایس۔ اللہ تعالیٰ چھُو سخت عذاب کرہ وُن۔ خطرہ چھُو مہ کہ یتھ جنگس اندر مایہ کو ٹھُس کانہہ ژنڈاہ۔ عمرہ خیطرہ گرِشھِ کو ٹھ برہم اِذْ يَقُوْلُ الْمُنٰفِقُوْنَ وَالَّذِيْنَ فِيْ قُلُوْبِهِمْ مَّرَضٌ غَرَّ هٰٓؤُلَاۗءِ دِيْنُهُمْ یمہِ دوہہ مُنافق بیہ تم لُوکھ یہندِ ین دِلن اندر شکِ بیماری آسِ وَنان آسِ مغرُور چھِہ کرمتِ یِم لُوکھ یعنی مُسلمان دینن پننِ۔ ہلاکتس منز چھِہ زورہ پننِ پان تراوان۔ تعدادہ کِن کم آستھ۔ سامانہ کِن کم آستھ چھِہ یِم مسلح فوجس سیتِ مُقابلہ کرنہ خیطرہ آمادہ سپدان وَمَنْ يَّتَوَكَّلْ عَلَى اللّٰهِ فَاِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان یمن چھُو پُور توکل تہ اِعتماد پنہ نِس خدایس پیٹھ۔ لہذا ایُس اکھاہ معبُود برحقس پیٹھ توکُل کرہِ تمسُند دِل سپدہ ضرور مضبوط تہ محکم۔ کیازِہ تُہند مددگار چھُو اللہ تعالیٰ بیشک سو چھُو زبردست حکمتہ وول۔ وَلَوْ تَرٰٓى اِذْ يَتَوَفَّى الَّذِيْنَ كَفَرُوا الْمَلٰۗىِٕكَةُ يَضْرِبُوْنَ وُجُوْهَهُمْ وَاَدْبَارَهُمْ ہر گاہ تُہہ وچھِو تمہِ ساتک حال یمہِ ساتہ تمن کافرن قبض رُوح کران آسِ ملائک، تُوہہِ یِیہ ہاو بُوزنہ عجیب واقعہ۔ تِم ملک آسِ تمہِ ساتہ نارہ ویو ڈیکسو سیت کافرن ہندِ ین بُتھین تہ تھرَن پیٹھ چوب دِوان۔ گویا لاٹھی چارج کران

بِمَا قَدَّمَتْ اَیْدِیْكُمْ وَ اَنَّ اللّٰهَ لَیْسَ بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِیْدِ ﴿۵۱﴾ كَدَاْبِ اٰلِ فِرْعَوْنَ ۙ وَ الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ؕ كَفَرُوْا بِاٰیٰتِ اللّٰهِ فَاَخَذَهُمُ اللّٰهُ بِذُنُوْبِهِمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ قَوِیٌّ شَدِیْدُ الْعِقَابِ ﴿۵۲﴾ ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ لَمْ یَكُ مُغَیِّرًا نِّعْمَةً اَنْعَمَهَا عَلٰى قَوْمٍ حَتّٰى یُغَیِّرُوْا مَا بِاَنْفُسِهِمْ ۙ وَ اَنَّ اللّٰهَ سَمِیْعٌ عَلِیْمٌ ﴿۵۳﴾ كَدَاْبِ اٰلِ فِرْعَوْنَ ۙ وَ الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ؕ كَذَّبُوْا بِاٰیٰتِ رَبِّهِمْ فَاَهْلَكْنٰهُمْ

---

وَذُوْقُوْا عَذَابَ الْحَرِیْقِ بیہ آسِکھ وَنان زِنہِ کیاہ زِچھوہ توہہ۔ ژہونار جھنمکُ عذاب۔ یہِ عذاب چھُونہ آخرتہ کِس عذابَس نسبت کہنی ذٰلِكَ بِمَا قَدَّمَتْ اَیْدِیْكُمْ وَ اَنَّ اللّٰهَ لَیْسَ بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِیْدِ یہِ چھُو توہہ تمن تِچھہ عملن ہُند بدَلہ یمہِ توہہ پنہ نیو اَتھو برونہہ کُن سوزوہ۔ بیہ زانِو تُہہ وارہ کہِ اللہ تعالیٰ چھُنہ ہرگزِ بندن ظُلم کرہ وُن۔ ناحق کرہِ ہَکھ عذابَس گرفتار كَدَاْبِ اٰلِ فِرْعَوْنَ وَ الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ تِمَنِ کافرن ہنز حالَت چھہ یِتھہ کِتھہِ اندرکہِ کُفر ونافرمانیِ پیٹھ آو تِمن سزادِنہ۔ یِژھی یِژھ فرعونہ سندِہ قومچ بیہِ تِمن کافرن ہنز حالت چھہِ یِتھہ کِتھہِ اَندر كَفَرُوْا بِاٰیٰتِ اللّٰهِ تِموتہِ کیا کورکُفر تہِ اِنکار خدایہ سندین آیاتن فَاَخَذَهُمُ اللّٰهُ بِذُنُوْبِهِمْ پَس رٹِ تِمِ اللہ تعالیٰ ان تہنزن نافرمانین ہندِہ وجہہ اِنَّ اللّٰهَ قَوِیٌّ شَدِیْدُ الْعِقَابِ پزپاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ طاقتہ وول سخت عذاب کرہ وُن ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ لَمْ یَكُ مُغَیِّرًا نِّعْمَةً اَنْعَمَهَا عَلٰى قَوْمٍ حَتّٰى یُغَیِّرُوْا مَا بِاَنْفُسِهِمْ یہِ کِتھہ کہِ اسِ کیا چھِنہِ جُرمہ ورایِ سزادِوان چھہ امی وَجہہ کہِ اَسہِ نِشہِ چھُو اکھ قانون تہ قاعدہ مُقرر۔ سُو گوزِہ اللہ تعالیٰ چھُونہ کُنہِ تتھ نعمتس بدلاوان یُسہ کُنہ قومَس تمِ عطا کرمژ آسہِ۔ توتان یُوتان نہ تمِ تِمن کامین بدلاوَن یمہِ تِمن سپرد تہ مَٹہِ آسہ کرنہ آمژہ یعنی عِبادَت تہ اِطاعت وَ اَنَّ اللّٰهَ سَمِیْعٌ عَلِیْمٌ یہ کِتھہ چھہ ثابتِ کہ اللہ تعالیٰ چھُو سورُوی بُوزہ وُن، سورُوی زانہ وُن۔ یِتھ حالت بدلاوُنکِس معاملَس اندر تہِ چھہ تہنز حالت كَدَاْبِ اٰلِ فِرْعَوْنَ وَ الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ تِژِھی یِژھ قومِ فرعَون تہ بیَن کافرِن ہنز حالت آس۔ یِمِ تِمن برونٹھ

بِذُنُوْبِهِمْ وَاَغْرَقْنَآ اٰلَ فِرْعَوْنَ ۚ وَكُلٌّ كَانُوْا ظٰلِمِيْنَ ﴿٥٤﴾ اِنَّ شَرَّ الدَّوَآبِّ عِنْدَ اللّٰهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿٥٥﴾ اَلَّذِيْنَ عٰهَدْتَّ مِنْهُمْ ثُمَّ يَنْقُضُوْنَ عَهْدَهُمْ فِيْ كُلِّ مَرَّةٍ وَّهُمْ لَا يَتَّقُوْنَ ﴿٥٦﴾ فَاِمَّا تَثْقَفَنَّهُمْ فِي الْحَرْبِ فَشَرِّدْ بِهِمْ مَّنْ خَلْفَهُمْ لَعَلَّهُمْ يَذَّكَّرُوْنَ ﴿٥٧﴾ وَاِمَّا تَخَافَنَّ مِنْ قَوْمٍ خِيَانَةً فَانْۢبِذْ اِلَيْهِمْ عَلٰى سَوَآءٍ ۭ اِنَّ اللّٰهَ لَا يُحِبُّ الْخَآئِنِيْنَ ﴿٥٨﴾

---

آسِ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِ رَبِّهِمْ تموٗ کَر پنهٔ نِس پروردگاره سندِين آياتَن اِنکار ته تمِ زانکه اپڙ فَاَهْلَكْنٰهُمْ بِذُنُوْبِهِمْ پس گال تمِ اَسهِ تيمنی گُنهن ته نافرمانين هندِه وجه وَاَغْرَقْنَآ اٰلَ فِرْعَوْنَ بيهِ پهاٹوٗ اَسهِ فرعونه سُند قوم درياوَس اَندر وَكُلٌّ كَانُوْا ظٰلِمِيْنَ تم سارِی آسِ سيٹهاه سرکش ته ظالمِ اِنَّ شَرَّ الدَّوَآبِّ عِنْدَ اللّٰهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ پزِپاٹھِ مخلوقو اندره چهِ بدتر الله تعالیٰ اَس نِشهِ تمِ لُوکھ يموٗ کُفر کوٗر۔ پس انَ نه تمِ کُنهِ طريقه اِيمان اَلَّذِيْنَ عٰهَدْتَّ مِنْهُمْ ثُمَّ يَنْقُضُوْنَ عَهْدَهُمْ فِيْ كُلِّ مَرَّةٍ وَّهُمْ لَا يَتَّقُوْنَ يمن سيتِ توههِ صُلحک عهدو پيمان کروه۔ تو پته چهِ تمِ پريتھ لٹهِ پُھڑ اوان سوٗ پنُن مُعاهده۔ بيهِ چهنه عهد شکنی کرنَس کهوژان تهِ فَاِمَّا تَثْقَفَنَّهُمْ فِي الْحَرْبِ فَشَرِّدْ بِهِمْ مَّنْ خَلْفَهُمْ لَعَلَّهُمْ يَذَّكَّرُوْنَ پس هرگاه تُهه لبِيوٗکھ تمِ عهد شکنی کرِه ونِ جنگس اندر مُقابله کران۔ تمن پيٹھ گرٗشهِ تُيتھ حمله کرُن۔ تُهندِه سيتِ گرٗشهن ژلراونِ تمِ يمِ تمن پته آسَن مددگار يا تمن پته اِوهِ ونِ آسَن۔ يُتھ تمِ عبرت رَٹن وَاِمَّا تَخَافَنَّ مِنْ قَوْمٍ خِيَانَةً بيهِ هرگاه تُهه کهوژِو ته انديشه کرِوکُنه قومچِه عهد شکنی فَانْۢبِذْ اِلَيْهِمْ عَلٰى سَوَآءٍ پس واپس کرِو تُهند سو عهد تمنی کُن۔ يعنی سُوٗ عهد پُھڑ اوِو۔ مگر تمهِ عهد که پُھڑ اونچ خبر گرٗشهِ سپدِن دوشون فريقن برابر برابر يعنی تمن کرِو خبر جنگ واقع کرنه برونٹھ که چوٗنکه تُهه چهِوه يمهِ يمهِ قسمچِه حرکژ کران لهذا اُيس عهد اه توههِ سيتِ کرنه آمت چهوٗ سُوٗ گو ختم۔ يتهنه تمِ توههِ پيٹھ بُور کهارن۔ يتهه صاف اطلاعه وَرای تمن سيتِ جنگ کرُن گيه خيانت اِنَّ اللّٰهَ لَا يُحِبُّ

وَلَا يَحْسَبَنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا سَبَقُوا ۚ إِنَّهُمْ لَا يُعْجِزُونَ ﴿٥٩﴾ وَأَعِدُّوا لَهُم مَّا اسْتَطَعْتُم مِّن قُوَّةٍ وَمِن رِّبَاطِ الْخَيْلِ تُرْهِبُونَ بِهِ عَدُوَّ اللَّهِ وَعَدُوَّكُمْ وَآخَرِينَ مِن دُونِهِمْ لَا تَعْلَمُونَهُمُ اللَّهُ يَعْلَمُهُمْ ۚ وَمَا تُنفِقُوا مِن شَيْءٍ فِي سَبِيلِ اللَّهِ يُوَفَّ إِلَيْكُمْ وَأَنتُمْ لَا تُظْلَمُونَ ﴿٦٠﴾ وَإِن جَنَحُوا لِلسَّلْمِ فَاجْنَحْ لَهَا وَتَوَكَّلْ عَلَى اللَّهِ ۚ إِنَّهُ هُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ ﴿٦١﴾

---

الْخَائِنِينَ پرٛ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو نہ خیانت کرہ وٕنین پسند کران وَلَا يَحْسَبَنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا سَبَقُوا گُمانہ مہ کرن کافرٕ تِم کیاژلِ اَسہٕ نِشہٕ۔ وٕن ہیکو کھ نہ اسِ تِم قابو کرتھ إِنَّهُمْ لَا يُعْجِزُونَ پرٛ پاٹھ تِم ہیکن نہ اسہٕ کُنہِ چیزہ سیت عاجز تہٕ تنگ کٔرِتھ۔ وَأَعِدُّوا لَهُم مَّا اسْتَطَعْتُم مِّن قُوَّةٍ وَمِن رِّبَاطِ الْخَيْلِ اَی مُسلمانو تیار کٔرِو کافرن سیتِ جہاد کرنہ خیطرہ یِہ مُمکن سپدِ وہ تہٕ سامانہ اَندرہ، گور گنڈِت تھاونہ اندرہ تُرْهِبُونَ بِهِ عَدُوَّ اللَّهِ وَعَدُوَّكُمْ تمہٕ سیت کھوژہ ناویو کھ تُہہ خدایہ سِند دُشمن تہٕ پنٕنِ دُشمن تہٕ یعنی مکّک کافر وَآخَرِينَ مِن دُونِهِمْ بیہ مکہ کٔین کافرن ورایِ تہٕ باقی دُشمن لَا تَعْلَمُونَهُمُ اللَّهُ يَعْلَمُهُمْ تِم نہ تُہہ زانیکھ بلکہٕ زانیکھ اللہ تعالیٰ پُور وَمَا تُنفِقُوا مِن شَيْءٍ فِي سَبِيلِ اللَّهِ يُوَفَّ إِلَيْكُمْ وَأَنتُمْ لَا تُظْلَمُونَ بیہ یُس چیزاہ خرچ کٔرِو تُہہ خدایہ سنزہ وَتہٕ اَندر یتھ منز جہادتہٕ شامِل چھُو تمُک بدلہ یِیہ تُہہِ پُور عطا کرنہ۔ تُہہِ نسبت یِیہ نہ کانہہ کمیاہ تتھ اَندر کرنہ۔ حدیث شریفن اندر چھہ تیر اندازی ہیچھ نچ تِمچ مشق کرنچ، گُرز ہیچھ نچ، گُرسِ پیٹھ کھسُن ہیچہ نچ سیٹھاہ فضیلت آمژ۔ اَزکہِ وقتہ گو بندوق، توپ تہٕ باقی آلات جدیدہ چلاون ہیچھن تمُک قایم مُقام۔ عام طور ورزش کرنِ تہٕ تتھ منز داخِل وَإِن جَنَحُوا لِلسَّلْمِ فَاجْنَحْ لَهَا بیہ ہرگاہ کافر صلحس کُن مایِل سپدٕن تُہہِ تہٕ چھُو اجازت کہٕ ہرگاہ تُہہ تہٕ سپدِو مایِل تتھ وَتَوَكَّلْ عَلَى اللَّهِ بیہ کٔرِو تُہہ اعتماد اللہ تعالیٰ اَس پیٹھ إِنَّهُ هُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ پرٛ پاٹھِ سُو چھُو سورُوی بُوزہ وٕن۔ سُوری زانہ وٕن وَإِن يُرِيدُوا أَن يَخْدَعُوكَ فَإِنَّ حَسْبَكَ

وَإِنْ يُرِيدُوٓا أَنْ يَخْدَعُوكَ فَإِنَّ حَسْبَكَ اللَّهُ ۚ هُوَ الَّذِيٓ أَيَّدَكَ بِنَصْرِهِۦ وَبِالْمُؤْمِنِينَ ﴿٦٢﴾ وَأَلَّفَ بَيْنَ قُلُوبِهِمْ ۚ لَوْ أَنْفَقْتَ مَا فِي الْأَرْضِ جَمِيعًا مَّآ أَلَّفْتَ بَيْنَ قُلُوبِهِمْ وَلَٰكِنَّ اللَّهَ أَلَّفَ بَيْنَهُمْ ۚ إِنَّهُۥ عَزِيزٌ حَكِيمٌ ﴿٦٣﴾ يَٰٓأَيُّهَا النَّبِيُّ حَسْبُكَ اللَّهُ وَمَنِ اتَّبَعَكَ مِنَ الْمُؤْمِنِينَ ﴿٦٤﴾ يَٰٓأَيُّهَا النَّبِيُّ حَرِّضِ الْمُؤْمِنِينَ عَلَى الْقِتَالِ ۚ إِنْ يَكُنْ مِّنْكُمْ عِشْرُونَ صَٰبِرُونَ يَغْلِبُوا مِائَتَيْنِ ۚ وَإِنْ يَكُنْ مِّنْكُمْ مِّائَةٌ يَغْلِبُوٓا أَلْفًا مِّنَ الَّذِينَ

---

اللهُ بیہِ ہر گاہ تم تُوہِہ دُھوکہ یژھَن دِین، پَس چھُو بیشک اللہ تعالیٰ توہِہ مدَد کرنہ خیطرہ، حفاظت کرنہ خیطرہ کافی۔ چنانچہِ هُوَ الَّذِيٓ أَيَّدَكَ بِنَصْرِهِۦ وَبِالْمُؤْمِنِينَ سُوگوسُوی یَم توہِہ غیبی مدَد کور ملایکوسیتِ۔ ظاہری مدَد کور بایمانوسیتِ وَأَلَّفَ بَيْنَ قُلُوبِهِمْ تِمَ پروردگارن اُلفت ترِٛو بایمانَن ہندیَن دِلن اَندر لَوْ أَنْفَقْتَ مَا فِي الْأَرْضِ جَمِيعًا مَّآ أَلَّفْتَ بَيْنَ قُلُوبِهِمْ وَلَٰكِنَّ اللَّهَ أَلَّفَ بَيْنَهُمْ ہر گاہ تُہہِ خرچ کرِہ ہوِتہٕ سورُوی مال یُس زمینَس پیٹھ چھُو توتہٕ ہیکِہو نہ اُلفت پیدہ کٔرِتھ تہندیَن دِلن اَندر۔ لیکن اللہ تعالیٰ نی ترِٛو اُلفت تِمَن منز۔ إِنَّهُۥ عَزِيزٌ حَكِيمٌ پزیاٹِ سُو چھُو زور آور حکمتہٕ وٕول يَٰٓأَيُّهَا النَّبِيُّ حَسْبُكَ اللَّهُ وَمَنِ اتَّبَعَكَ مِنَ الْمُؤْمِنِينَ اَی پیغمبر بس چھُو توہِہ اللہ تعالیٰ بیہِ تِم توہِہ سیتِ چھِہ بایمان يَٰٓأَيُّهَا النَّبِيُّ حَرِّضِ الْمُؤْمِنِينَ عَلَى الْقِتَالِ اَی پیغمبر شوق تہٕ ترغیب دِیوِ بایمانن جہادُک۔ إِنْ يَكُنْ مِّنْكُمْ عِشْرُونَ صَٰبِرُونَ يَغْلِبُوا مِائَتَيْنِ ہر گاہ توہِہ منزٕ وُہ (٢٠) زنِ صبر کرہوِن آسَن تِم پوشن کافر واندرہ دون ہتَن (٢٠٠)۔ وَإِنْ يَكُنْ مِّنْكُمْ مِّائَةٌ يَغْلِبُوٓا أَلْفًا مِّنَ الَّذِينَ كَفَرُوا بِأَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا يَفْقَهُونَ بیہِ ہر گاہ توہِہ منزٕ اکھ ہَتھ مجاہد صبر کرَہوِن آسَن تِم پُوشن اکِس ساسَس کافرس کِیازہ تِم چھِہ قوماہ ناسمجھ الْـَٰٔنَ خَفَّفَ اللَّهُ عَنْكُمْ وَعَلِمَ أَنَّ فِيكُمْ ضَعْفًا فَإِنْ يَكُنْ مِّنْكُمْ

كَفَرُوْا بِاَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا يَفْقَهُوْنَ ﴿٦٥﴾ اَلْـٰٔنَ خَفَّفَ اللّٰهُ عَنْكُمْ

وَعَلِمَ اَنَّ فِيْكُمْ ضَعْفًا ۚ فَاِنْ يَّكُنْ مِّنْكُمْ مِّائَةٌ صَابِرَةٌ يَّغْلِبُوْا

مِائَتَيْنِ ۚ وَاِنْ يَّكُنْ مِّنْكُمْ اَلْفٌ يَّغْلِبُوْٓا اَلْفَيْنِ بِاِذْنِ اللّٰهِ ؕ وَ

اللّٰهُ مَعَ الصّٰبِرِيْنَ ﴿٦٦﴾ مَا كَانَ لِنَبِيٍّ اَنْ يَّكُوْنَ لَهٗٓ اَسْرٰى حَتّٰى

يُثْخِنَ فِي الْاَرْضِ ؕ تُرِيْدُوْنَ عَرَضَ الدُّنْيَا ۖ وَاللّٰهُ يُرِيْدُ

الْاٰخِرَةَ ؕ وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿٦٧﴾ لَوْلَا كِتٰبٌ مِّنَ اللّٰهِ سَبَقَ

---

مِّائَةٌ صَابِرَةٌ يَّغْلِبُوْا مِائَتَيْنِ گوڈہ نیکُ حکم یلہِ صحابہ صیٖن پیٹھ دَشوار سپُد، اللہ تعالیٰ ان کورسُو حُکم منسُوخ۔ فرموٗن وَونِ کرُ اللہ تعالیٰ اَن توہہِ پیٹھ تخفیف۔ تمِ زُون کہِ توہہِ اَندر چھہ سُستی۔ لہٰذا چھووَن یہ حُکم کہِ اگر توہہِ منز آسَن اکھ ہتھ مجُاہدِ ثابتِ قدم تمِ سپدن غالِب دون ہتَن کافرَن پیٹھ۔ وَاِنْ يَّكُنْ مِّنْكُمْ اَلْفٌ يَّغْلِبُوْٓا اَلْفَيْنِ بِاِذْنِ اللّٰهِ وَاللّٰهُ مَعَ الصّٰبِرِيْنَ تتھے پاٹھِ ہرگاہ توہہِ منزہ آسَن اکھ ساس مجُاہد تمِ سپدن غالب دون ساسَن کافِرن پیٹھ خدایہِ سندِہ حُکمہ سیت۔ کیازِہ اللہ تعالیٰ چھُو صبر کرہوٗنین سیتِ سیت تِمن مدَد کران مَا كَانَ لِنَبِيٍّ اَنْ يَّكُوْنَ لَهٗٓ اَسْرٰى حَتّٰى يُثْخِنَ فِي الْاَرْضِ اَی مُسلمانو توہہِ دِیوٗ توہ مشورَہ نبی کریمس صلی اللہ علیہِ وسلم قیدیَن نِشہِ کیھنہ مال ہیتھ تم تراونا وُنگ۔ یہِ گونہ جان۔ کیازِہ نبی کریمہ سندِس شانس شوبہِ نہ کہِ تہند قیدی کیاہن چھڈنہ قتلہ وراي بلکہِ گژھن تمِ قتل کرنہ ینِ۔ تااِینکہ زمینِس منز سپدِہ کافِرن ہنز خونریزی، شرتہ فساد دَفع تُرِيْدُوْنَ عَرَضَ الدُّنْيَا اَی مُسلمانو تُہہ چھوِہ ژھانڈان دُنیاءک سامان تمی موٗکھ دژوِہ رائے نبی کریمس صلی اللہ علیہِ وسلم تم قیدی فدیہ رٹتھ تراونس پیٹھ وَاللّٰهُ يُرِيْدُ الْاٰخِرَةَ اللہ تعالیٰ چھُو تُہندِہ خیطرِہ راضی آخرتکس سامانس وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو زبردست حکمتہٕ وول۔ سُو کرِہا توہہِ کافرِن پیٹھ غلبہ دِتھ سیٹھاہ مالدار لَوْلَا كِتٰبٌ مِّنَ اللّٰهِ سَبَقَ لَمَسَّكُمْ فِيْمَآ اَخَذْتُمْ عَذَابٌ عَظِيْمٌ ہرگاہ نَے اللہ تعالیٰ اَن دررو زِ ازل لیوکھمُت آسہا کہِ تِمَو قیدیوٗ منزہ اَنِن بعضی ایمان۔ یمہِ سیتِ نہ کانہہ فساد واقع سپدِہ، تِمیوٗک احتمال اُوس نتہ

لَمَسَّكُمْ فِيمَآ أَخَذْتُمْ عَذَابٌ عَظِيمٌ ﴿٦٨﴾ فَكُلُوا۟ مِمَّا غَنِمْتُمْ حَلَٰلًا طَيِّبًا ۚ وَٱتَّقُوا۟ ٱللَّهَ ۚ إِنَّ ٱللَّهَ غَفُورٌ رَّحِيمٌ ﴿٦٩﴾

يَٰٓأَيُّهَا ٱلنَّبِىُّ قُل لِّمَن فِىٓ أَيْدِيكُم مِّنَ ٱلْأَسْرَىٰٓ إِن يَعْلَمِ ٱللَّهُ فِى قُلُوبِكُمْ خَيْرًا يُؤْتِكُمْ خَيْرًا مِّمَّآ أُخِذَ مِنكُمْ وَيَغْفِرْ لَكُمْ ۗ وَٱللَّهُ غَفُورٌ رَّحِيمٌ ﴿٧٠﴾ وَإِن يُرِيدُوا۟ خِيَانَتَكَ فَقَدْ خَانُوا۟ ٱللَّهَ مِن قَبْلُ فَأَمْكَنَ مِنْهُمْ ۗ وَٱللَّهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ ﴿٧١﴾ إِنَّ ٱلَّذِينَ ءَامَنُوا۟ وَهَاجَرُوا۟

سپدِ ہا تو ہٕ پیٹھ یمن نِشہِ یہِ فدِیہ رٹنہ مُوکھہ بُوڈ عذاب نازِل۔ چونکہِ کانہہ فسادا ہ واقع سپُدنہ۔ تُہندُ مشورہ دراوٚ اتفاقاً رُتُوی۔ یمہِ مُوکھہ تُہہ سزاءِ نِشہِ محفوظ رُودِوہ فَكُلُوا مِمَّا غَنِمْتُمْ حَلٰلًا طَيِّبًا ووٚنِ کھیٚو تمہِ منزہ یہِ تُوہہِ حاصِل کورِ وہ تمن نِشہِ فدیہِ پاٹِ۔ حلال طیّب زانِتھ وَاتَّقُوا اللّٰهَ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ بیہِ کھُو تُہو اللہ تعالیٰ اَس۔ آیندہ مہ کٔرِ ویٚرِ شہ کام زانہہ۔ پزپاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو مغفرت کرہ ڈن۔ رحم کرہ ڈن۔ گنہس کٔرنوہ بخشایس۔ یہ گو مغفرِ ت۔ مالِ فدِیہ کرنوہ حلال یہ گئیہِ رحمت۔ يٰٓاَيُّهَا النَّبِيُّ قُلْ لِّمَنْ فِيْٓ اَيْدِيْكُمْ مِّنَ الْاَسْرٰٓى اَی پیغمبر فرماوِو تمن قیدیَن یم تہندِس قبضس منز چھہِ اِنْ يَّعْلَمِ اللّٰهُ فِيْ قُلُوْبِكُمْ خَيْرًا يُّؤْتِكُمْ خَيْرًا مِّمَّآ اُخِذَ مِنْكُمْ ہرگاہ اللہ تعالیٰ تہندین دِلن اندر نیکی تہ رژر ڈُچھہِ اِسلام قبول کرنس اندر تلہِ کرِوہ سُو تُوہہِ عطا بہتر مال تمہِ مالہ خُوتہ یُس تُوہہِ نِشہِ وصُول کرنہ آو فدِیس اندر وَيَغْفِرْ لَكُمْ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ بیہِ کرِ تُوہہِ مغفرِت۔ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ ڈن، رحم کرہ ڈن وَاِنْ يُّرِيْدُوْا خِيَانَتَكَ ہرگاہ تہنز خواہش آسہِ تُوہہِ دُھوکہ دیُن اِسلام اَنہٕ سیتِ، یا رسُول اللہ، سُو کیہنہ نوٚ کتھہ چھنہ فَقَدْ خَانُوا اللّٰهَ مِنْ قَبْلُ پَس بتحقیق تمو چھُو ارکہِ برونٹھ تہ خدایس پننہِ خیالہ دھُوکہ دِتمُت۔ مگر خدایس ہیکہِ نہ کانہہ دُھوکہ دِتھ فَاَمْكَنَ مِنْهُمْ پَس مُوقعہ دِیُت اللہ تعالیٰ اَن تُوہہِ تمن نِشہِ انتقام ہینک برونٹھمہِ لٹہِ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو زانن وول۔ تمس چھہ خبر خیانتہ وول کُس چھُو۔ حکمتہ وول پننہِ حکمتہ سیتِ کرِ سُو بیہِ کانہہ صورت پیدہ۔ یمہِ سیتِ تم بیہِ گرفتار

وَجٰهَدُوْا بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ فِیْ سَبِیْلِ اللّٰهِ وَالَّذِیْنَ اٰوَوْا
وَّنَصَرُوْٓا اُولٰٓئِكَ بَعْضُهُمْ اَوْلِیَآءُ بَعْضٍ ؕ وَالَّذِیْنَ اٰمَنُوْا
وَلَمْ یُهَاجِرُوْا مَا لَكُمْ مِّنْ وَّلَایَتِهِمْ مِّنْ شَیْءٍ حَتّٰی یُهَاجِرُوْا ۚ
وَاِنِ اسْتَنْصَرُوْكُمْ فِی الدِّیْنِ فَعَلَیْكُمُ النَّصْرُ اِلَّا عَلٰی قَوْمٍۭ
بَیْنَكُمْ وَبَیْنَهُمْ مِّیْثَاقٌ ؕ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِیْرٌ ﴿۷۲﴾ وَالَّذِیْنَ
كَفَرُوْا بَعْضُهُمْ اَوْلِیَآءُ بَعْضٍ ؕ اِلَّا تَفْعَلُوْهُ تَكُنْ فِتْنَةٌ فِی الْاَرْضِ

---

سپدٕن۔ اِنَّ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَهَاجَرُوْا وَجٰهَدُوْا بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ فِیْ سَبِیْلِ اللّٰهِ پزِ پاٹھِ یِمَو لُوکو ایمان اُون بیہِ یِمَو ہجرت تہٕ کٔر، پنُن وَطن مکّہ شریف ترٛاوُکھ دِینکہِ مُحبّتہ۔ بیہِ یِمو جہاد کورمال وجانہ سیتِ خدایہِ سنزِ ہ وَتہِ اَندر تِمن صحابہ صیٖمن چھہِ ونان مُہاجرِ وَالَّذِیْنَ اٰوَوْا وَّنَصَرُوْٓا بیہِ یِمَو لُوکو تِمن مہاجرن پنہٕ نِس شہرس اَندر جای دِژ، بیہِ مدد کور، تِمن چھہِ ونان انصار۔ مدینہ منوّرکِ صحابہ صیٖب اُولٰٓئِكَ بَعْضُهُمْ اَوْلِیَآءُ بَعْضٍ تِم چھہِ پانہ وانِ اکھ اکسندِ دُوست بیہِ وارِث وَالَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَلَمْ یُهَاجِرُوْا مَا لَكُمْ مِّنْ وَّلَایَتِهِمْ مِّنْ شَیْءٍ حَتّٰی یُهَاجِرُوْا بیہِ یِمَو لُوکو ایمان اَنتھِ ہجرت کٔر نہ تِمن چھُونہ توہہ سیتِ نہ دوستی ہُند کانہہ تعلّق نہ وراثک۔ یُوتانِ نہ تِمِ تہٕ ہجرت کرن۔ تلہِ چھہِ تِمِ تہٕ تتھ خُمس اندر داخِل وَاِنِ اسْتَنْصَرُوْكُمْ فِی الدِّیْنِ فَعَلَیْكُمُ النَّصْرُ ہرگاہ تِمِ توہہ نِشہِ دینچہ کُنہ کامہِ اندر مدد ژھانڈن۔ یعنی کافرِن سیتِ جہاد کرنس اَندر توہہ پزِہ تِمن تتھ اَندر مدد کرٕن اِلَّا عَلٰی قَوْمٍۭ بَیْنَكُمْ وَبَیْنَهُمْ مِّیْثَاقٌ مگر گژھیکھنہ مدد کرٕن۔ یلہِ تِمن مُقابلہ آسہِ کرٕن تِمن لُوکن سیتِ یِمن تہٕ توہہ پانہ وانِ کُنہہ معاہدہ آسہِ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِیْرٌ اللہ تعالیٰ چھُو تُہنز ہ سارے کامہِ وُچھان وَالَّذِیْنَ كَفَرُوْا بَعْضُهُمْ اَوْلِیَآءُ بَعْضٍ کافرِ یِم چھہِ تِمِ تہٕ چھہِ اڈاڈِین ہندِ دُوست وارِث اِلَّا تَفْعَلُوْهُ تَكُنْ فِتْنَةٌ فِی الْاَرْضِ وَفَسَادٌ كَبِیْرٌ ہرگاہ تُہہ یتھ حُکمس پیٹھ عمل کٔرِ ونہ یعنی مُسلمان مُسلمان پانہ وانِ اکھ اکسندِ مُمِد تہٕ مددگار بنونہ تیلہ ووتھہِ مُلکس اَندر فتنہ۔ بیہِ ووتھ بوڈ فساد۔ وَالَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَهَاجَرُوْا وَجٰهَدُوْا فِیْ

وَفَسَادٌ كَبِيرٌ ﴿٧٣﴾ وَالَّذِينَ آمَنُوا وَهَاجَرُوا وَجَاهَدُوا فِي
سَبِيلِ اللَّهِ وَالَّذِينَ آوَوْا وَّنَصَرُوا أُولَٰئِكَ هُمُ الْمُؤْمِنُونَ
حَقًّا لَّهُم مَّغْفِرَةٌ وَرِزْقٌ كَرِيمٌ ﴿٧٤﴾ وَالَّذِينَ آمَنُوا مِن بَعْدُ
وَهَاجَرُوا وَجَاهَدُوا مَعَكُمْ فَأُولَٰئِكَ مِنكُمْ وَأُولُو الْأَرْحَامِ
بَعْضُهُمْ أَوْلَىٰ بِبَعْضٍ فِي كِتَابِ اللَّهِ إِنَّ اللَّهَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيمٌ ﴿٧٥﴾ ع

---

سَبِيلِ اللَّهِ وَالَّذِينَ آوَوْا وَّنَصَرُوا أُولَٰئِكَ هُمُ الْمُؤْمِنُونَ حَقًّا بیہ یِمو لوکو ایمان انتھ ہجرت کٔر بیہ خدایہ سنزِ وتہِ اَندر جہاد کور۔ بیہ یِمو مہاجرن جای دِژ بیہ امداد گور تِم سارِی مُہاجرٕ تہٕ انصار چھہِ پزٕپاٹھِ مُسلمان لَّهُم مَّغْفِرَةٌ وَرِزْقٌ كَرِيمٌ تہندی خیطرٕ چھُ بوڈ مغفرت آخرتس منز بیہ باعزت رُوزِی جنتس منز وَالَّذِينَ آمَنُوا مِن بَعْدُ وَهَاجَرُوا وَجَاهَدُوا مَعَكُمْ فَأُولَٰئِكَ مِنكُمْ بیہ تِم لوکھ یِمو ہجرت نبوِیّہٕ پتہٕ ایمان اُون۔ تو پتہٕ ہجرت کٔر ، بیہ توہہِ سیتِ شامِل رُوزِتھ کافرن سیت جہاد کر، تِم لوک تہٕ چھہِ توہی اندرٕ وَأُولُو الْأَرْحَامِ بَعْضُهُمْ أَوْلَىٰ بِبَعْضٍ فِي كِتَابِ اللَّهِ تِم رشتہٕ دار چھہِ مہاجرِین سابقین ہند تِمِ چھہِ زیادٕ حقدار اکھ اکس غیر رشتہٕ دارَن نسبت، خدایہ سندٕ حُکمہ مُوجُب إِنَّ اللَّهَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيمٌ پزٕپاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُ پرٕیتھ چیز ازانہٕ وُن تمی چھُ پرٕیتھ وقتکہ مصلحتہٕ موجب احکام مقرٗر کران۔



# سُورَةُ التَّوبَة

بَرَآءَةٌ مِّنَ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖٓ اِلَى الَّذِيْنَ عٰهَدْتُّمْ مِّنَ الْمُشْرِكِيْنَ ۝١ فَسِيْحُوْا فِى الْاَرْضِ اَرْبَعَةَ اَشْهُرٍ وَّاعْلَمُوْٓا اَنَّكُمْ غَيْرُ مُعْجِزِى اللّٰهِ ۙ وَاَنَّ اللّٰهَ مُخْزِى الْكٰفِرِيْنَ ۝٢ وَاَذَانٌ مِّنَ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖٓ اِلَى

یتھ سُورَہٕ شریفس چھُونہٕ بسم اللہ پرنہٕ یوان کینہہ تہٕ کیازہ بسم اللہ چھُونہٕ نازِل سپدمُت اَتھ سیتِ۔ یُوسہ عبارتھاہ قرآن مجیدہٕ کِس حاشیس پیٹھ لیکھنہٕ آمژ چھےٚ سو چھےٚ فرضی تمیک پرن چھونہ ضروری۔ بَرَآءَةٌ مِّنَ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖٓ اِلَى الَّذِيْنَ عٰهَدْتُّمْ مِّنَ الْمُشْرِكِيْنَ یہ چھُو خدائیس تہٕ تہندس پیغمبرہ سندہٕ طرفہٕ تمہِ مُعاہدچ دَست برداری یُس توہہِ مُشرکن سیتِ کورمُت اُوسوہ۔ یتھ صُلح حدیبیہ وَنان چھِہ۔ حضرتِ رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلم آی ٦ ھ ہجریس اَندر عمرہ کرنہٕ خیطرہ۔ یلہٕ تِم بمقام حُدیبیہ واتِ۔ کافرَو دیوتِھ نہٕ مکہ شریفس منزٕ اژنہٕ۔ چنانچہ اَتھ مقامس پیٹھ سپُد کافرن سیتِ صُلح۔ امہِ معاہدٕ صُلحک مُدّت آو تھاونہٕ دہ وَری۔ مکہ شریفس منز یم بیہِ قبیلہ روزان آسِ تِمن متعلق سپُد یہ فیصلہ کہٕ یِمو قبیلو اندرہٕ یُس خوش کرِہ سُو روزِہ نبی کریمس سیت۔ یُس خوش کرِہ سُو روزِہ مکہ کین قریشن سیتِ۔ چنانچہ بنی خزاعہ رُود نبی کریمس سیتِ صلی اللہ علیہ وسلم۔ بنی بکر رُودِ قریشن سیت۔ اکس وَریس تانِ رُود یہ صُلح قایم مگر دویمہِ وریہ ١٧، ١٨ ریتھ آسھن گمتِ صُلحہ پیٹھ کہ بنی بکرن یُس قریشن سیتِ رَلِتھ اُوس کور راتھ کُیت اکھ حملہ بنی خزاعس پیٹھ یُس نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمس سیتِ رَلِتھ اُوس۔ تِمَو دُیت امیُک اطلاع نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلّم۔ چنانچہ تِمَو ہیُژ تیاری کرِن قریشن سیتِ جنگ کرنچ ٨ ھ ہجریس اندر کورُکھ فتحِ مکہ۔ اللہ تعالیٰ اَن کور اعلان کہ حُدیبیس اَندر یُس صُلح کرنہٕ آمت اُوس تمہِ نِشہ چھُو خدا بیہ تہند پیغمبر دست بردا سپدان۔ سُو صُلح پھُٹر وو قریشو۔ لہذا چھےٚ وَنِ کُنہ جایہ کافرن ہندِ خیطرہٕ اَمن واماِنچ صُورتھ فَسِيْحُوْا فِى الْاَرْضِ اَرْبَعَةَ اَشْهُرٍ پَس پھیرِیو یتھ مُلکس اندر ژون ریتن خوف تہٕ خطرہ وورای۔ تِم ژور ریتھ گےٚ ذیقعدہ، ذی الحجہ۔ محرم تہٕ رجب وَّاعْلَمُوْٓا اَنَّكُمْ غَيْرُ مُعْجِزِى اللّٰهِ بیہِ زانِوکہِ تُہہِ ہیکیون نہٕ اللہ تعالیٰ عاجز کرِتھ۔ تُہہِ کیاہ نیرِ وتہندہِ قبضہ

النَّاسِ يَوْمَ الْحَجِّ الْأَكْبَرِ أَنَّ اللَّهَ بَرِيٓءٌ مِّنَ الْمُشْرِكِينَ ۙ وَرَسُولُهُ ۚ فَإِن تُبْتُمْ فَهُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ ۖ وَإِن تَوَلَّيْتُمْ فَاعْلَمُوٓا أَنَّكُمْ غَيْرُ مُعْجِزِي اللَّهِ ۗ وَبَشِّرِ الَّذِينَ كَفَرُوا بِعَذَابٍ أَلِيمٍ ﴿٣﴾ إِلَّا الَّذِينَ عَاهَدتُّم مِّنَ الْمُشْرِكِينَ ثُمَّ لَمْ يَنقُصُوكُمْ شَيْـًٔا وَلَمْ يُظَاهِرُوا عَلَيْكُمْ أَحَدًا فَأَتِمُّوٓا إِلَيْهِمْ عَهْدَهُمْ إِلَىٰ مُدَّتِهِمْ ۚ

---

منزه نيبر ـ وَأَنَّ اللَّهَ مُخْزِي الْكَافِرِينَ بيهِ ڄاڻيو ته ڪه الله تعاليٰ ڇھو ڪافرن رسوا ڪرڻون دنياو آخرتس اندر عذابس گرفتار ڪرنه سيت وَأَذَانٌ مِّنَ اللَّهِ وَرَسُولِهِ إِلَى النَّاسِ يَوْمَ الْحَجِّ الْأَكْبَرِ بيه ڇھو اعلانِ عام ٻوان ڪرنه خدايَس ته تهندِس پيغمبره سِنده طرفه بڈه حجه ڪهِ دوهه أَنَّ اللَّهَ بَرِيٓءٌ مِّنَ الْمُشْرِكِينَ وَرَسُولُهُ يمهِ ڱوي زه الله تعاليٰ ته تُهند پيغمبر ڇھو بالڪل الگ تمن مُشرڪن نِشهِ يمو پانه سُو عهد پھڑووُيس حدٻيٻس منز ڪرنه اُوس آمُت ـ مگر باوجود آن ڇھو وننه يِوان تمن ڪهِ فَإِن تُبْتُمْ فَهُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ ووَنِ هرگاه تُهه ڪُفره نِشهِ توبه ڪُروته بازايوتهِ ڇھو بهتر تُهندِه خيطره دوشونِ جهانن اَندر ـ دُنياهس اندر بچو قتله نِشهِ آخرتس اندر عذابه نِشهِ وَإِن تَوَلَّيْتُمْ فَاعْلَمُوٓا أَنَّكُمْ غَيْرُ مُعْجِزِي اللَّهِ هرگاه تُهه اِسلامه نِشهِ اعراض ڪُرِو ٻس زانوتُهه ڪهِ هرگز هيڪيون نه توهِ ٻسره اَنتھ ته عاجز ڪُرِتھ الله تعاليٰ ڱُنه طرفس ڱُن ژلنه سيتِ ته کھٹتھ رُوزنه سيت ٻابيهِ ڱُنهِ چيزه سيت وَبَشِّرِ الَّذِينَ كَفَرُوا بِعَذَابٍ أَلِيمٍ بوزناوُيو کھ تُهه ڪافر دَردناڪ عذابچ خبر يمهِ نِشهِ نه تمِ پڇهي هيڪن ڱُنهِ إِلَّا الَّذِينَ عَاهَدتُّم مِّنَ الْمُشْرِكِينَ ثُمَّ لَمْ يَنقُصُوكُمْ شَيْـًٔا مگر ٻُھٹنه تُهنديهِ عهد تمن ڪافرن هنده حقه يمو توهه سيتِ مُعاهده ڪورمُت ڇھونَ توپته آسيکھ نه ڱُنهِ چيزس منز توهه نسبت عهدٻُوره ڪرنس منز ڪمي ڪرمژ وَلَمْ يُظَاهِرُوا عَلَيْكُمْ أَحَدًا بيهِ آسکھنه ڪانسهِ اڪس تُهندِس دُشمنو اندره توهه مُقابله مدَد ڪورمُت فَأَتِمُّوٓا إِلَيْهِمْ عَهْدَهُمْ إِلَىٰ مُدَّتِهِمْ تمن سيتِ ڪُرِو تُهندِ مُعاهده ٻُوره يتھ مدُتس تانِ تمن سيتِ مُقرر ڪرنه آمُت آسهِ يعني تمِ ڇههِ بدستوُر اَمنس اَندر ـ تهندِه حقّه ڇھنه اڃ دَست برداري ڪينهه ته ـ تمِ گے بني خمره بني مُدلج ـ تمِ زه قبيله آسِ بني

إِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُتَّقِيْنَ ④ فَإِذَا انْسَلَخَ الْأَشْهُرُ الْحُرُمُ فَاقْتُلُوا الْمُشْرِكِيْنَ حَيْثُ وَجَدْتُّمُوْهُمْ وَخُذُوْهُمْ وَاحْصُرُوْهُمْ وَاقْعُدُوْا لَهُمْ كُلَّ مَرْصَدٍ ۚ فَإِنْ تَابُوْا وَأَقَامُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتَوُا الزَّكٰوةَ فَخَلُّوْا سَبِيْلَهُمْ ۭ إِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ⑤ وَإِنْ أَحَدٌ مِّنَ الْمُشْرِكِيْنَ اسْتَجَارَكَ فَأَجِرْهُ حَتّٰى يَسْمَعَ كَلٰمَ اللّٰهِ ثُمَّ أَبْلِغْهُ مَأْمَنَهٗ ۭ ذٰلِكَ بِأَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا يَعْلَمُوْنَ ⑥

کنانس اندر، یمو نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلّم سیت مُعاہدہ کو رمُت اُوس تِہندِس مُعاہدس آس باقی دُنہٕ نو ریتھ۔ یمو آس نہ عہد شکنی کرمژ کینہہ تہٕ۔ لہذا اُرودیُہند معاہدہ باقی بدستوٗر إِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُتَّقِيْنَ پزٕ پاٹھٕ اللہ تعالیٰ چھُو بد عہدی نِشہٕ پرہیز کرہ وٕنین دُوست تھاوان فَإِذَا انْسَلَخَ الْأَشْهُرُ الْحُرُمُ پس یلہٕ گُذرن تعظیمہ والِ ریت فَاقْتُلُوا الْمُشْرِكِيْنَ حَيْثُ وَجَدْتُّمُوْهُمْ پس ماریوکھ مُشرک یتہٕ پینوہ تہٕ تتہٕ وَخُذُوْهُمْ گرفتار کرِتھ تھاویوکھ قید وَاحْصُرُوْهُمْ پتھ ریٹوکھہٕ تِم خانہ کعبس طواف کرنہٕ نِشہٕ۔ وَاقْعُدُوْا لَهُمْ كُلَّ مَرْصَدٍ زاگنہٕ رُودِزِو تِمن پریتھ موقعس تہٕ زاگن جایہٕ پیٹھ فَإِنْ تَابُوْا وَأَقَامُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتَوُا الزَّكٰوةَ فَخَلُّوْا سَبِيْلَهُمْ تو پتہٕ ہرگاہ تِم توبہ کرن کُفرہ نِشہٕ بیہٕ ہین کرنہٕ اِسلامچہٕ کامہٕ، مثلاً نماز پرن بیہٕ دِن زکوٰۃ، پتھ تراویویلہٕ اہنز وتھ۔ دِیوٗ کھ پکنہٕ اُورہ یُور إِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ پزٕ پاٹھٕ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ وٕن سیٹھاہ رحم کرہ وٕن وَإِنْ أَحَدٌ مِّنَ الْمُشْرِكِيْنَ اسْتَجَارَكَ فَأَجِرْهُ بیہٕ ہرگاہ مُشرکو اندرہ کانہہ توہہٕ پناہ منگہٕ توہہٕ سیت مُلاقات یژھہٕ کرُن۔ تُہہ دِیوٗ تس پناہ تہٕ اجازت حَتّٰى يَسْمَعَ كَلٰمَ اللّٰهِ تاکہ توہہٕ نِش یتھ بوزہ سُو کلامِ خُدا۔ مُمکن چھُو تمیگ پیہ تس پیٹھ کانہہ اثر ثُمَّ أَبْلِغْهُ مَأْمَنَهٗ تو پتہٕ واتناویوٗن سُو پناہ تہٕ اَمنچہٕ جایہٕ۔ تِمس دِیوٗن سیت حفاظتہٕ خیطرہ پٕنُن کانہہ شخصاہ۔ یُو تان سُو پنہ نِس جماعتس نِشہٕ واتہٕ ذٰلِكَ بِأَنَّهُمْ قَوْمٌ لَّا يَعْلَمُوْنَ یہ گژھہٕ اَمی خیطرہ کرُن کہٕ تِم چھہٕ بے خبر اِسلامہ کیو اَحکامو نِشہٕ مُمکن چھُو ہرگاہ تُہہ تس دِیوٗ توہہٕ پانس نِشہٕ یِنہ، سُو بُوزہ توہہٕ نِشہٕ اِسلامچہٕ کتھہ

كَيْفَ يَكُونُ لِلْمُشْرِكِينَ عَهْدٌ عِنْدَ اللّٰهِ وَعِنْدَ رَسُولِهٖٓ إِلَّا الَّذِينَ عٰهَدْتُّمْ عِنْدَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ ۚ فَمَا اسْتَقٰمُوا لَكُمْ فَاسْتَقِيمُوا لَهُمْ ۗ إِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُتَّقِينَ ۞ ٧ كَيْفَ وَإِنْ يَّظْهَرُوا عَلَيْكُمْ لَا يَرْقُبُوا فِيكُمْ إِلًّا وَّلَا ذِمَّةً ۗ يُرْضُونَكُمْ بِأَفْوٰهِهِمْ وَتَأْبٰى قُلُوبُهُمْ ۚ وَأَكْثَرُهُمْ فٰسِقُونَ ۞ ٨ اِشْتَرَوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ ثَمَنًا قَلِيلًا فَصَدُّوا عَنْ سَبِيلِهٖ ۗ

تن سان متاثر سڀ ٿي نه سگهي، ته وانئاوه تن دليل. تن ته سڀن متاثر كَيْفَ يَكُونُ لِلْمُشْرِكِينَ عَهْدٌ عِنْدَ اللّٰهِ وَعِنْدَ رَسُولِهٖٓ ڪٿ پاڻ هيڪ آسته مشرڪن خدا ايس نشي ڪانه عهد اوٿاهندس پيغمبر س نشي. يس عهد قابلِ رعايت ٿيي زانني. ڪيا زه رعايت ٿيي تن عهد س ڪرنه يتھ نه دو ٽئم فريق پانه ڦهڙ اوه إِلَّا الَّذِينَ عٰهَدْتُّمْ عِنْدَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ مگر تن لوکه تمو معاهده ڪور توهه سيت مسجدِ حرام س نکه تل فَمَا اسْتَقٰمُوا لَكُمْ فَاسْتَقِيمُوا لَهُمْ ايتس ڪالس تمِ سيود روزن توهه سيت تهه ته روززِ تمن سيت سيود إِنَّ اللّٰهَ يُحِبُّ الْمُتَّقِينَ بيشڪ الله تعالیٰ ڇهو دوست ٿاوان بدعهدي نشه پتھ روزه و نين كَيْفَ وَإِنْ يَّظْهَرُوا عَلَيْكُمْ لَا يَرْقُبُوا فِيكُمْ إِلًّا وَّلَا ذِمَّةً ڪٿه پاڻه روزه تهند عهد قابلِ رعايت تهندين دلن اندر ڇهو ڪهوچر. چنانچه هرگاه تمِ توهه پيٺه غلبه ڪرنگ موقعه لبن تمِ ڪرن نه ڪانه وايا ته لحاظ نه رشته داري هند نه گنه عهدڪ يُرْضُونَكُمْ بِأَفْوٰهِهِمْ وَتَأْبٰى قُلُوبُهُمْ تمن پيٺه ڇهونه ڪانه اعتبار تمِ ڇهه توه راضي ٿاوان گتهو سيت دل ڇهڪ تمن ڪٿهن انڪار ڪران دل ڇهکنه تمن ڪٿهن سيت وَأَكْثَرُهُمْ فٰسِقُونَ تمو اندر ڇهه زياده سرڪش ته شرير. تمِ ڇهنه يرشان عهد پوره ڪرن اِشْتَرَوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ ثَمَنًا قَلِيلًا فَصَدُّوا عَنْ سَبِيلِهٖ حاصل ڪر تمو خدايه سندين احڪامن بدل دنياهڪ متاع ناپائيدار. توپته رٽهه پته لوڪ تهنزه وته نشه. لوڪن ديو ٿهه نه تهنزه وته پيٺه پڪنه يعني اسلامس منز داخل سپدنه إِنَّهُمْ سَآءَ مَا كَانُوا يَعْمَلُونَ پزپاٺ تمِ تمه ڪامه ڪران ڇهه تمه ڇهه سيٺاه ٿڇه ڪامه لَا يَرْقُبُونَ فِي

إِنَّهُمْ سَآءَ مَا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿٩﴾ لَا يَرْقُبُونَ فِي مُؤْمِنٍ إِلًّا وَّلَا ذِمَّةً ۚ وَأُولَٰٓئِكَ هُمُ الْمُعْتَدُونَ ﴿١٠﴾ فَإِن تَابُوا وَأَقَامُوا الصَّلَوٰةَ وَآتَوُا الزَّكَوٰةَ فَإِخْوَانُكُمْ فِي الدِّينِ ۗ وَنُفَصِّلُ الْآيَاتِ لِقَوْمٍ يَعْلَمُونَ ﴿١١﴾ وَإِن نَّكَثُوٓا أَيْمَانَهُم مِّن بَعْدِ عَهْدِهِمْ وَطَعَنُوا فِي دِينِكُمْ فَقَاتِلُوٓا أَئِمَّةَ الْكُفْرِ ۙ إِنَّهُمْ لَآ أَيْمَانَ لَهُمْ لَعَلَّهُمْ يَنتَهُونَ ﴿١٢﴾ أَلَا تُقَاتِلُونَ قَوْمًا نَّكَثُوٓا أَيْمَانَهُمْ

---

مُؤْمِنٍ إِلًّا وَّلَا ذِمَّةً تم ڇهنِ لحاظ تہ رعايت کران کانسہِ بايمانہ سندہ حقہ۔ نہ کُنہِ رشتہ داری ہُند، نہ کُنہِ عہدُک وَأُولَٰٓئِكَ هُمُ الْمُعْتَدُونَ تِمے لوکھ ڇهِ حدہ ڈلہ ونِ فَإِن تَابُوا وَأَقَامُوا الصَّلَوٰةَ وَآتَوُا الزَّكَوٰةَ فَإِخْوَانُكُمْ فِي الدِّينِ باوجودِ آں ہرگاہ تمِ توبہ کرن شِرکہ نِشہِ بيہِ تھاوَن قائمِ نمازبيہِ کرن ادازکوٰۃ تلہِ ڇهِ تمِ تہِ تہندِ بای دِینَس اندر وَنُفَصِّلُ الْآيَاتِ لِقَوْمٍ يَعْلَمُونَ اسِ ڇهِ ویژھہ ناوت احکام ونان زانن والین لوکن ہندِ خیطرہ وَإِن نَّكَثُوٓا أَيْمَانَهُم مِّن بَعْدِ عَهْدِهِمْ توپتہ ہرگاہ تم پُھٹراوَن قسم پنن عہد کرنہ پتہ۔ وَطَعَنُوا فِي دِينِكُمْ بيہِ دِن تُہندِس دِینَس طعنہ۔ تتھ پیٹھ کرن اِعتراضات فَقَاتِلُوٓا أَئِمَّةَ الْكُفْرِ إِنَّهُمْ لَآ أَيْمَانَ لَهُمْ لَعَلَّهُمْ يَنتَهُونَ اَتھ حالَس منز کٔرِو تُہہِ جنگ کُفرہ کین پیشواءن تہ زٹھین سیت، پٔز پاٹھِ تمن چھُو نہ کُنہ عہد و پیما نُک خیال۔ دِیوہ تمِ پتھ روزن کُفرہ نِشہِ أَلَا تُقَاتِلُونَ قَوْمًا نَّكَثُوٓا أَيْمَانَهُمْ کیاہ تُہہِ کٔروناجنگ تمِن لوکن سیتِ یمو پُھٹراو عہد پننِ وَهَمُّوا بِإِخْرَاجِ الرَّسُولِ بيہِ یمو قصد کور پیغمبر خدا پننِہ شہرہ منزہ نیبر کڈنُک وَهُم بَدَءُوكُمْ أَوَّلَ مَرَّةٍ تِموی کور ابتدا تُہہِ سیتِ جنگ کرنُک۔ کیازِ تِمو کور

وَهَمُّوا بِإِخْرَاجِ الرَّسُولِ وَهُمْ بَدَءُوكُمْ أَوَّلَ مَرَّةٍ ۚ
أَتَخْشَوْنَهُمْ ۚ فَاللَّهُ أَحَقُّ أَنْ تَخْشَوْهُ إِنْ كُنْتُمْ مُؤْمِنِينَ ﴿١٣﴾
قَاتِلُوهُمْ يُعَذِّبْهُمُ اللَّهُ بِأَيْدِيكُمْ وَيُخْزِهِمْ وَيَنْصُرْكُمْ عَلَيْهِمْ
وَيَشْفِ صُدُورَ قَوْمٍ مُؤْمِنِينَ ﴿١٤﴾ وَيُذْهِبْ غَيْظَ قُلُوبِهِمْ ۗ وَ
يَتُوبُ اللَّهُ عَلَىٰ مَنْ يَشَاءُ ۗ وَاللَّهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ ﴿١٥﴾ أَمْ حَسِبْتُمْ أَنْ
تُتْرَكُوا وَلَمَّا يَعْلَمِ اللَّهُ الَّذِينَ جَاهَدُوا مِنْكُمْ وَلَمْ يَتَّخِذُوا

---

تُہند س ہم قسم قومَس بنی خزاعَس سیت جنگ أَتَخْشَوْنَهُمْ کیاہ تُہہِ چھوہ تِمن کھوژانی فَاللَّهُ أَحَقُّ أَنْ تَخْشَوْهُ إِنْ كُنْتُمْ مُؤْمِنِينَ اللہ تعالیٰ سُند خوف گژھہِ توہہِ آسُن زیادہ ہرگاہ تُہہ باایمان چھوِہ قَاتِلُوهُمْ يُعَذِّبْهُمُ اللَّهُ بِأَيْدِيكُمْ وَيُخْزِهِمْ تُہہ کرِو جنگ تِمن سیتِ یُتھ گرفتارِ عذاب کرِہ تِمن اللہ تعالیٰ تُہند یوی اَتھو۔ بیہ کرِہ تِمن اللہ تعالیٰ رُسواتہ ذلیل وَيَنْصُرْكُمْ عَلَيْهِمْ وَيَشْفِ صُدُورَ قَوْمٍ مُؤْمِنِينَ بیہِ دِیہ توہہِ اللہ تعالیٰ تِمن پٹھہ غلبہ، بیہ بخشہِ شفا اللہ تعالیٰ باایمانن ہندیَن دِلَن تہندِ جگر شہلاوہ وَيُذْهِبْ غَيْظَ قُلُوبِهِمْ بیہ کرِہ دُور اللہ تعالیٰ تہندِن دِلن ہندِس غمس تہ غُصس وَيَتُوبُ اللَّهُ عَلَىٰ مَنْ يَشَاءُ بیہِ کرِہ اللہ تعالیٰ یُس توجہ تِمن پیٹھ یہند سُو یژھہِ وَاللَّهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ اللہ تعالیٰ چھُو سورُوی زانہ وُن۔ تس چھہ پُور خبر پریتھ اکسِندِہ اَنجامچ گمسُند انجام چھُو اِسلام۔ گمسُند اَنجام چھُو کُفر سُو چھو سیٹھاہ حِکمتہ وُول۔ تمی پننہِ حِکمتہ سیتِ چھُو مناسب احکام جاری کران۔ تُہہ چھوہ کافرِن سیتِ مُقابلہ کرنہ نِشہِ پتھ ہیوان أَمْ حَسِبْتُمْ أَنْ تُتْرَكُوا وَلَمَّا يَعْلَمِ اللَّهُ الَّذِينَ جَاهَدُوا مِنْكُمْ کیاہ توہہِ چھا گُمانہ کہِ تُہہ کیا اِیو تراونہ اتھہِ حالَس پیٹھ امتحان ورای۔ حالانکہِ وُنہِ سپُدنہ ظاہر توہہِ اندرہ کمو کور جُہاد کیازہ جہاد چھہ کہسوٹ۔ امی سیتِ چھُونان مُخلص کُہہ چھُو غیر مُخلص کُہہ چھُو وَلَمْ يَتَّخِذُوا مِنْ دُونِ اللَّهِ وَلَا رَسُولِهِ وَلَا الْمُؤْمِنِينَ وَلِيجَةً پتہِ سپُدنہ ظاہر کہِ کمو روٹ خدایس ورایِ بیہ تہندِس پیغمبرس ورایِ بیہ باایمانن ورای کانہہ پُوشیدہ دُوستاہ یَس نِشہِ سرِ باوان آس مُسلمان یِیہ پر کھاونہ دویو چیز وَ سیت اکھ گژھہِ نہ کُنہِ قسمہ لیت

مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَلَا رَسُوْلِهٖ وَلَا الْمُؤْمِنِيْنَ وَلِيْجَةً ؕ وَاللّٰهُ خَبِيْرٌۢ بِمَا تَعْمَلُوْنَ ۧ ﴿١٦﴾ مَا كَانَ لِلْمُشْرِكِيْنَ اَنْ يَّعْمُرُوْا مَسٰجِدَ اللّٰهِ شٰهِدِيْنَ عَلٰٓى اَنْفُسِهِمْ بِالْكُفْرِ ؕ اُولٰٓئِكَ حَبِطَتْ اَعْمَالُهُمْ ۚۖ وَفِى النَّارِ هُمْ خٰلِدُوْنَ ﴿١٧﴾ اِنَّمَا يَعْمُرُ مَسٰجِدَ اللّٰهِ مَنْ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ وَاَقَامَ الصَّلٰوةَ وَاٰتَى الزَّكٰوةَ وَلَمْ يَخْشَ اِلَّا اللّٰهَ ۫ فَعَسٰٓى اُولٰٓئِكَ اَنْ يَّكُوْنُوْا مِنَ الْمُهْتَدِيْنَ ﴿١٨﴾ اَجَعَلْتُمْ سِقَايَةَ

---

وُلعل ہلہِ ڈِلہ کرُن جہادس اَندر۔ بیہِ گژھَنس نہ پُوشیدہ تعلقات دُوستی ہندِ آسن کافرِن سیت۔ وَاللّٰهُ خَبِيْرٌۢ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خدائیس چھِہ تمہِ سارچِی پُور خبر یہِ تہہ کران چھوِہ۔ مگر سُو چھوُ یژھان یہِ تَس پانس خبر چھِہ تہِ گژھِہ نَنُ تہ آشکار اسپدُن مَا كَانَ لِلْمُشْرِكِيْنَ اَنْ يَّعْمُرُوْا مَسٰجِدَ اللّٰهِ مُشرکن چھِنہ قابلیتھی کہِ تمِ کیاکرن آباد خدایہِ سنزہ مسجدِہ شٰهِدِيْنَ عَلٰٓى اَنْفُسِهِمْ بِالْكُفْرِ یتھ حالَس منز کہِ تمِ آسَن اقرار کران کُفر چَن کتھَن تہ کامین ہُند۔ بیہِ آسَن معبُودِ برحقَس ورای پُو تیلن ہنز پرستش کران اُولٰٓئِكَ حَبِطَتْ اَعْمَالُهُمْ وَفِى النَّارِ هُمْ خٰلِدُوْنَ تمَنِ لوکن ہنزہ سارے رژہ عملہ عمارتِ مسجد وغیرہ ہمیشہ چھِہ ضایٔع شرکہ سببہ۔ تمَے چھِہ روزہ ونِ ہمیشہ نارس اندر کیازہ ذریعہ و سبب نجات چھُو تمِن ضائع سپدمُت اِنَّمَا يَعْمُرُ مَسٰجِدَ اللّٰهِ مَنْ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ آباد کرن نہ خدایہِ سنزن مسجدِن مگر تمَے یمو ایمان اُون معبودِ برحقَس بیہِ پتِمس دوہَس دِلہ سیتِ تو پتہ کرن تانو سیتِ تمیُک اظہار تہِ گو۔ وَاَقَامَ الصَّلٰوةَ وَاٰتَى الزَّكٰوةَ وَلَمْ يَخْشَ اِلَّا اللّٰهَ بیہِ تھاوِکھہ برپا نماز بیہِ کَرکھ اداز کوٰۃ۔ بیہِ کھُوژِنہ کانسہِ خدائیس وَرایِ فَعَسٰٓى اُولٰٓئِكَ اَنْ يَّكُوْنُوْا مِنَ الْمُهْتَدِيْنَ پَس چھِہ اُمید تہ توقع یعنی وعدہ کہِ تمَے لُوکھ آسَن ہدایت لبہ ونیو اندرہ۔ منزلِ مقصودس واتہ ونیو اندرہ اَجَعَلْتُمْ سِقَايَةَ الْحَآجِّ وَعِمَارَةَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ کیاہ توہہِ کورُوہ حاجین آبِ زمزم چاوُن، بیہِ مسجد حرامُک آباد تھاوُن برابر كَمَنْ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ وَجٰهَدَ فِىْ سَبِيْلِ اللّٰهِ تمِس شخصہ سندین عملَن سیتِ تمِ اِیمان اُون معبُودِ برحقس

الْحَآجِّ وَعِمَارَةَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ كَمَنْ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ وَجٰهَدَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ؕ لَا يَسْتَوٗنَ عِنْدَ اللّٰهِ ؕ وَاللّٰهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ ﴿١٩﴾ اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَهَاجَرُوْا وَجٰهَدُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ ۙ اَعْظَمُ دَرَجَةً عِنْدَ اللّٰهِ ؕ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْفَآئِزُوْنَ ﴿٢٠﴾ يُبَشِّرُهُمْ رَبُّهُمْ بِرَحْمَةٍ مِّنْهُ وَرِضْوَانٍ وَّجَنّٰتٍ لَّهُمْ فِيْهَا نَعِيْمٌ مُّقِيْمٌ ﴿٢١﴾ ۙ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا ؕ اِنَّ اللّٰهَ عِنْدَهٗٓ اَجْرٌ

---

بیہِ پُتِس دوہَس یعنی قیامَتَس۔ بیہِ کرن جہاد خدایہِ سنزِہ وتہِ اندر۔ خدایہِ سندِہ کلمہ تھزرہ خیطرہ لَا يَسْتَوٗنَ عِنْدَ اللّٰهِ خدایس نِشہِ چھِنہٕ تِم لُوکھ برابر وَاللّٰهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ اللہ تعالیٰ چھُونہٕ وَتھ ہاوان ظالم لُوکن تِمن چھَنہٕ یہِ کتھ فکرِہ تران۔ تِمن چھُو خیال حاجِیَن آب زمزم چاوُن، مسجدِ حرامٕچ آبادی کرنِ یہِ چھہ بڈٕ نیکی مگر یہِ چھُو کنہٕ فکرِہ تران کہ یمن نیکین چھُو تلِ اعتباریلہِ شِرکہ نِشہِ دُور آسہِ، قیامَتِچ پُور پڑھہ آسہِ اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَهَاجَرُوْا وَجٰهَدُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بِاَمْوَالِهِمْ وَاَنْفُسِهِمْ اَعْظَمُ دَرَجَةً عِنْدَ اللّٰهِ تِم لُوک یِمو ایمان اُون بیہِ ہِجرت کُر خدایہِ سندِہ خیطرہ، بیہِ کورُکھ جہاد خدایہِ سنزِہ وَتہِ اندر پنہٕ نیو مالو تہٕ جانوسیتِ، تِم چھِہ سیٹھاہ تھدِ، درجہ کِن، خدایس نِشہِ آب زمزم چاوہ وِنیو تہٕ تعمیر مسجد کرہ وِنیو خوتہٕ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْفَآئِزُوْنَ تِمے لُوکھ چھِہ پُورہ کامیاب سَپدہ ونِ يُبَشِّرُهُمْ رَبُّهُمْ بِرَحْمَةٍ مِّنْهُ وَرِضْوَانٍ وَّجَنّٰتٍ لَّهُمْ فِيْهَا نَعِيْمٌ مُّقِيْمٌ خوش خبری چھُو دِوان تِمن پُنن پروردگار پنہٕ مِچہ رحمَتُچ، بیہِ پنہٕ مِچہ رضامندی ہنز۔ بیہِ تِمن جنتن ہنز یِمن منز تہندِہ خیطرہ پُوشہِ وِنہ نعمَت چھہ خٰلِدِيْنَ فِيْهَآ اَبَدًا اِنَّ اللّٰهَ عِنْدَهٗٓ اَجْرٌ عَظِيْمٌ تِمی جنتن اندر آسَن روزہ ونِ ہمیشہ۔ بیشک

عَظِيْمٌ ﴿٢٢﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّخِذُوْٓا اٰبَآءَكُمْ وَ
اِخْوَانَكُمْ اَوْلِيَآءَ اِنِ اسْتَحَبُّوا الْكُفْرَ عَلَى الْاِيْمَانِ ؕ وَمَنْ
يَّتَوَلَّهُمْ مِّنْكُمْ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الظّٰلِمُوْنَ ﴿٢٣﴾ قُلْ اِنْ كَانَ
اٰبَآؤُكُمْ وَاَبْنَآؤُكُمْ وَاِخْوَانُكُمْ وَاَزْوَاجُكُمْ وَعَشِيْرَتُكُمْ وَ
اَمْوَالُ اِۨقْتَرَفْتُمُوْهَا وَتِجَارَةٌ تَخْشَوْنَ كَسَادَهَا وَ
مَسٰكِنُ تَرْضَوْنَهَآ اَحَبَّ اِلَيْكُمْ مِّنَ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ وَ
جِهَادٍ فِيْ سَبِيْلِهٖ فَتَرَبَّصُوْا حَتّٰى يَاْتِيَ اللّٰهُ بِاَمْرِهٖ ؕ وَاللّٰهُ

---

اللہ تعالیٰ اسی نِشہِ چھہ بڈ مزور۔ تمی منزہ یِیہ یمن تہِ عطا کرنہ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّخِذُوْٓا اٰبَآءَكُمْ
وَ اِخْوَانَكُمْ اَوْلِيَآءَ اَی با ایمانومہ تھویو کھ مالِ پنن، بایِ پننِ دوست تہ رفیق اِنِ اسْتَحَبُّوا الْكُفْرَ
عَلَى الْاِيْمَانِ ہرگاہ تمِ کُفری ٹوٹھ تھاوَن تہ پسند کرن ایمانہ خوتہ وَمَنْ يَّتَوَلَّهُمْ مِّنْكُمْ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ
الظّٰلِمُوْنَ پس یتھین کافرِ مالین تہ بایَن سیتِ تمِ دُوستانہ تعلق تھاوَن توہہِ اندرہ پس تمے کیا چھہِ
خدایس نِشہِ نافرمان۔ قُلْ اِنْ كَانَ اٰبَآؤُكُمْ وَاَبْنَآؤُكُمْ وَاِخْوَانُكُمْ وَاَزْوَاجُكُمْ وَعَشِيْرَتُكُمْ وَ اَمْوَالُ
اِۨقْتَرَفْتُمُوْهَا وَتِجَارَةٌ تَخْشَوْنَ كَسَادَهَا وَمَسٰكِنُ تَرْضَوْنَهَآ اَحَبَّ اِلَيْكُمْ مِّنَ اللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ
وَجِهَادٍ فِيْ سَبِيْلِهٖ اَی پیغمبر تُہہ فرماویُو کھ اَی مُسلمانو ہرگاہ توہہِ آسنوہ مالِ پنن بیہِ نچوِ پننِ، بیہ بای پننِ،
بیہِ جورہ پنُن، یعنی مرَدس زنانہ پننِ، زنانہِ مرد پنُن، بیہ قبیلہ کرون پنُن، بیہِ زیو نمت مال پنُن بیہِ تجارت
پنُن یمہِ کِس نقصانس تُہہ کھوژان چھوہ، بیہِ مرغوب کرِہ جایہِ پننہِ زیادہ ٹاٹھہِ خدایہِ سندِہ خوتہ بیہِ تہنزِ ہ دتہِ
اندر جہاد کرنہ خوتہ فَتَرَبَّصُوْا حَتّٰى يَاْتِيَ اللّٰهُ بِاَمْرِهٖ وَاللّٰهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْفٰسِقِيْنَ تلہِ پیارِو
تُو تان یُو تان سوزِہ اللہ تعالیٰ پنُن حُکم یعنی عذاب، یعنی ہجرت نہ کرنگ سزا۔ اللہ تعالیٰ چھُو نہ وتھ

لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْفٰسِقِيْنَ ۝٢٤ لَقَدْ نَصَرَكُمُ اللّٰهُ فِيْ مَوَاطِنَ كَثِيْرَةٍ ۙ وَّيَوْمَ حُنَيْنٍ ۙ اِذْ اَعْجَبَتْكُمْ كَثْرَتُكُمْ فَلَمْ تُغْنِ عَنْكُمْ شَيْـًٔا وَّضَاقَتْ عَلَيْكُمُ الْاَرْضُ بِمَا رَحُبَتْ ثُمَّ وَلَّيْتُمْ مُّدْبِرِيْنَ ۝٢٥ ثُمَّ اَنْزَلَ اللّٰهُ سَكِيْنَتَهٗ عَلٰى رَسُوْلِهٖ وَعَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ وَاَنْزَلَ جُنُوْدًا لَّمْ تَرَوْهَا ۚ وَعَذَّبَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ۭ وَذٰلِكَ جَزَاۗءُ الْكٰفِرِيْنَ ۝٢٦

---

ھاوان نافرمان لوکن منزلِ مقصود حاصل کرنس ݨُن۔ **لَقَدْ نَصَرَكُمُ اللّٰهُ فِيْ مَوَاطِنَ كَثِيْرَةٍ وَّيَوْمَ حُنَيْنٍ** بتحقیق اللہ تعالیٰ اَن کَر توہہِ مَد دتہ یاری وارِیھن جایَن خصوصاً جنگ حُنَینس منز **اِذْ اَعْجَبَتْكُمْ كَثْرَتُكُمْ فَلَمْ تُغْنِ عَنْكُمْ شَيْـًٔا** ییلہِ توہہِ عجیب آو بوزنہ پننہِ لشکرِ ہُند زیادہ آسُن تمہِ ساتہ اُوس تہنزِ ہ لشکرِ ہُند تعداد باہ ساس ۱۲۰۰۰ اکافرن ہنزہ لشکرِ ہُند تعداد اوس ژور ساس۔ پَس دُیت نہ توہہِ تمہِ لشکرِ ہ زیادہ آسَن کانہہ فائیدہ **وَّضَاقَتْ عَلَيْكُمُ الْاَرْضُ بِمَا رَحُبَتْ** بیہ سُپد توہہِ پیٹھ زمین کھول آسِتھ تنگ سخت خوف زدہ سپد نہ مُوکھہ۔ کافرِن ہندِ ہ توہہِ پیٹھ بکثرت تیر لاینہ سیتِ **ثُمَّ وَلَّيْتُمْ مُّدْبِرِيْنَ** چنانچہ ژُہہ ژلوہ پسپا سپدِ ت **ثُمَّ اَنْزَلَ اللّٰهُ سَكِيْنَتَهٗ عَلٰى رَسُوْلِهٖ وَعَلَى الْمُؤْمِنِيْنَ** توپتہ ترووا اللہ تعالیٰ اَن دلک قرار پننہ نِس پیغمبرس بیہ باایمانن پیٹھ۔ چناچہِ ساری ییلہِ ژلِ حضرتِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم رُودِ ثابتِ قدم سفید کاترس پیٹھ سوار۔ سیتِ آسِکھ حضرت عباس، بیہ ابُو سفیان رکابس تھپ کَرِتھ حضرتِ عباسس اَتھہِ دوُ کھ لوکن آلو یمِ ژلمتِ آسِ بیہ پوٗرکھ پانہ بآواز بلند أَنَا النَّبِيُّ لَا كَذِب أَنَا ابن عَبْدِ الْمُطَّلِب یمہِ آوازِ ہ سیتِ کافرن دہشت پیو تہ اہرہ بیُوٗ ٹھ **وَاَنْزَلَ جُنُوْدًا لَّمْ تَرَوْهَا** بیہ سوٗز اللہ تعالیٰ اَن آسمانکہِ طرفہ لشکراہ یوسہ نہ ژُہہ وچھان آسِوہ یعنی ملائیک یمہِ سیتِ بیہ اثر سپُد کہ مُسلمان سپِد بیہ جمع۔ توپتہ ہیُتِر تموٗ دوبارہ لڑائی کرنِ **وَعَذَّبَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا** بیہ کرن پتولا کہ کافر عذابس گرفتار۔ فتح کرن عطا پننہ نِس پیغمبرس **وَذٰلِكَ جَزَاۗءُ الْكٰفِرِيْنَ** یُوہے چھُو

ثُمَّ يَتُوبُ اللّٰهُ مِنۢ بَعۡدِ ذٰلِكَ عَلٰى مَنۡ يَّشَآءُ ؕ وَاللّٰهُ
غَفُوۡرٌ رَّحِيۡمٌ ﴿٢٧﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡۤا اِنَّمَا الۡمُشۡرِكُوۡنَ
نَجَسٌ فَلَا يَقۡرَبُوا الۡمَسۡجِدَ الۡحَـرَامَ بَعۡدَ عَامِهِمۡ هٰذَا ۚ وَ
اِنۡ خِفۡتُمۡ عَيۡلَةً فَسَوۡفَ يُغۡنِيۡكُمُ اللّٰهُ مِنۡ فَضۡلِهٖۤ اِنۡ شَآءَ ؕ
اِنَّ اللّٰهَ عَلِيۡمٌ حَكِيۡمٌ ﴿٢٨﴾ قَاتِلُوا الَّذِيۡنَ لَا يُؤۡمِنُوۡنَ بِاللّٰهِ
وَلَا بِالۡيَوۡمِ الۡاٰخِرِ وَلَا يُحَرِّمُوۡنَ مَا حَرَّمَ اللّٰهُ وَ
رَسُوۡلُهٗ وَلَا يَدِيۡنُوۡنَ دِيۡنَ الۡحَقِّ مِنَ الَّذِيۡنَ

---

کافرن ہُند سزا دُنیاہَس منز **ثُمَّ يَتُوبُ اللّٰهُ مِنۢ بَعۡدِ ذٰلِكَ عَلٰى مَنۡ يَّشَآءُ** تو پتہ کرِہ اللہ تعالیٰ توبہ نصیب یِمَو اندرہ یَس خوش کریَس۔ چنانچہِ واریاہ سپدِ یِمو منزہ مُسلمان **وَاللّٰهُ غَفُوۡرٌ رَّحِيۡمٌ** اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن سیٹھاہ رحم کرہ وُن **يٰۤاَيُّهَا الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡۤا اِنَّمَا الۡمُشۡرِكُوۡنَ نَجَسٌ** اَی مُسلمانو مُشرِک چھِ ناپاک شِرکچہِ ناپاکی سیتِ بیہِ تِچھہ اعتقادَو سیت **فَلَا يَقۡرَبُوا الۡمَسۡجِدَ الۡحَرَامَ بَعۡدَ عَامِهِمۡ هٰذَا** پَس مَہ سپدِن تِم نزدیک مسجدِ حرامَس یِمہِ ورہہ پتہِ **وَ اِنۡ خِفۡتُمۡ عَيۡلَةً فَسَوۡفَ يُغۡنِيۡكُمُ اللّٰهُ مِنۡ فَضۡلِهٖۤ اِنۡ شَآءَ** ہرگاہ تُہہ تہندِہ نہ اِنکہِ سببہ فقرس یا تجارتکِس نقصانس کھوژو، تُہہ روزِو خوش، اللہ تعالیٰ کرِہ توہہِ مالدار پننہِ فضلہ سیتِ ہرگاہ سُہ یژھہِ **اِنَّ اللّٰهَ عَلِيۡمٌ حَكِيۡمٌ** پزپاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو سورُوی زانہ وُن سیٹھاہ حکمتہ وول **قَاتِلُوا الَّذِيۡنَ لَا يُؤۡمِنُوۡنَ بِاللّٰهِ وَلَا بِالۡيَوۡمِ الۡاٰخِرِ** اَی مُسلمانَو جنگ کٔرِو تِمن لُوکن سیتِ یِم نہ پُور پژھہ کران چھِہ معبُودِ برحق بیہِ چھِنہ پُور پژھ کران قیامتکس دوہَس **وَلَا يُحَرِّمُوۡنَ مَا حَرَّمَ اللّٰهُ وَ رَسُوۡلُهٗ** بیہِ چھِنہ حرام زانان تِم چیز یِمِ خدایَن تہ تُہندِ پیغمبرن حضرتِ محمّدن صلی اللہ علیہ وسلم حرام کٔرِ۔ **وَلَا يَدِيۡنُوۡنَ دِيۡنَ الۡحَقِّ** بیہِ یِمِ نہ پوز دین،

أُوتُوا الْكِتٰبَ حَتّٰى يُعْطُوا الْجِزْيَةَ عَنْ يَّدٍ وَّهُمْ
صٰغِرُوْنَ ﴿٢٩﴾ وَقَالَتِ الْيَهُوْدُ عُزَيْرُ ابْنُ اللّٰهِ وَقَالَتِ
النَّصٰرَى الْمَسِيْحُ ابْنُ اللّٰهِ ۚ ذٰلِكَ قَوْلُهُمْ بِاَفْوَاهِهِمْ ۚ
يُضَاهِـُٔوْنَ قَوْلَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ قَبْلُ ۚ
قَاتَلَهُمُ اللّٰهُ ۚ اَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ ﴿٣٠﴾ اِتَّخَذُوْٓا اَحْبَارَهُمْ
وَرُهْبَانَهُمْ اَرْبَابًا مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَالْمَسِيْحَ

---

دینِ اسلام قبول تہٕ تسلیم کران چھہِ مِنَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ تمہٕ لوکو اندرہ تمَن کِتاب عطا کرنہ آیہِ یعنی یہود و نصاریٰ اَن سیتِ، سُوی جنگ کٔرِو توتانِ حَتّٰى يُعْطُوا الْجِزْيَةَ عَنْ يَّدٍ وَّهُمْ صٰغِرُوْنَ یُوتانِ نہ تمِ باج تارن یُس پیش کرن پنہ نیو اَتھو ماتحت رُوزِتھ۔ ذلیل تہٕ خوارسپدِ تھ۔ آن مانتھ وَقَالَتِ الْيَهُوْدُ عُزَيْرُ ابْنُ اللّٰهِ وَقَالَتِ النَّصٰرَى الْمَسِيْحُ ابْنُ اللّٰهِ بیہِ چھہ وَنان یُہود وَاندرہ بعضی لُوکھ زِہ عزیر علیہ السلام چھُو خدایہ سُندپُچو، بیہِ چھہِ نصاریٰ اَواندرہ اکثر وَنان کہ عیسیٰ مسیح علیہ السّلام چھُو خدایہ سُندپُچو ذٰلِكَ قَوْلُهُمْ بِاَفْوَاهِهِمْ یمہِ چھہ تھنز ہ کتھہ، تھنز وچانٹیو۔ حقیقتس سیت چھُونہ یمن کتھن کانہہ تعلقاہ يُضَاهِـُٔوْنَ قَوْلَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ قَبْلُ یمہ تہِ چھہِ تمنی کافرن ہنزہ کتھہ ہشہِ کران یم تمن برونٹھ آسِ قَاتَلَهُمُ اللّٰهُ اَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ اللہ تعالیٰ گالِن تمن کُوٗن چھہِ گرٛشھان یم پرٛزہِ نِشہِ ڈلتھ اِتَّخَذُوْٓا اَحْبَارَهُمْ وَرُهْبَانَهُمْ اَرْبَابًا مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَالْمَسِيْحَ ابْنَ مَرْيَمَ تمو چھہِ بناوِمُتِ عالم تہٕ عابدِ پننِ مطاع۔ حلال و حرامس منز چھہ تھنز اطاعتِ ترٛشھِ کران یرٛتھہ خدایہ سنزِ شوٗبہ کرنِ۔ صریح حُکم نصّس پیٹھ چھہِ تھندیَن اقوالَن ترجیح دِوان یرٛتھ اِطاعت کرنِ گٔیہ عبادت کرنِ۔ یہِ شوٗبہ ہاخاص معبودِ برحقہ سنزی یاژ کرنِ۔ اَمہ اِعتبارہ چھہِ تم تہِ مُشرِک بیہِ چھہِ عیسیٰ بن مریمس علیہ السلام رُبّ زانان۔ تمن چھہِ خدایہ سُندپُچو زانان۔ یہِ تہِ گوٚ شرکی وَمَآ اُمِرُوْٓا اِلَّا لِيَعْبُدُوْٓا اِلٰهًا وَّاحِدًا حالانکہِ تمَنِ آیو نہ حُکم کرنہ خُدایہ

ابْنَ مَرْيَمَ ۚ وَمَآ اُمِرُوْٓا اِلَّا لِيَعْبُدُوْٓا اِلٰهًا وَّاحِدًا ۚ
لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۭ سُبْحٰنَهٗ عَمَّا يُشْرِكُوْنَ ﴿٣١﴾
يُرِيْدُوْنَ اَنْ يُّطْفِــــُٔـوْا نُوْرَ اللّٰهِ بِاَفْوَاهِهِمْ وَيَاْبَى
اللّٰهُ اِلَّآ اَنْ يُّتِمَّ نُوْرَهٗ وَلَوْ كَرِهَ الْكٰفِرُوْنَ ﴿٣٢﴾ هُوَ
الَّذِيْٓ اَرْسَلَ رَسُوْلَهٗ بِالْهُدٰى وَدِيْنِ الْحَقِّ لِيُظْهِرَهٗ
عَلَي الدِّيْنِ كُلِّهٖ ۙ وَلَوْ كَرِهَ الْمُشْرِكُوْنَ ﴿٣٣﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ
اٰمَنُوْٓا اِنَّ كَثِيْرًا مِّنَ الْاَحْبَارِ وَالرُّهْبَانِ لَيَاْكُلُوْنَ

---

سنزن ڪتابن اندر. مگر ڪُني معبودِ برحقَس عبادت ڪرڻ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ تَس وراءِ ڇو نه
معبودي ڪانهه عبادتَس لائق ڪانهه سُبْحٰنَهٗ عَمَّا يُشْرِكُوْنَ سُو ڇو منزه ۽ پاڪ تهندهِ شرڪه
نشهِ يُرِيْدُوْنَ اَنْ يُّطْفِـُٔـوْا نُوْرَ اللّٰهِ بِاَفْوَاهِهِمْ يرڻهان ڇهِ تم ڪهِ ڙهيته ڪره هن خدايه سُند نور يعني
دِين اِسلامي پنه نيو ڇُوڪوسيتِ يعني آسوسيتِ ڇهِ اِسلامس پيٺھ اعتراض ڪران وَيَاْبَى اللّٰهُ اِلَّآ
اَنْ يُّتِمَّ نُوْرَهٗ خدا ڇُھو نه پسند ڪران مگر فقط پنُن نور پُور ڪرُن. سُو نور ڪمالس واتناون وَلَوْ كَرِهَ
الْكٰفِرُوْنَ اگرچهِ ناخوشي ايتن ڪافرن. هُوَ الَّذِيْٓ اَرْسَلَ رَسُوْلَهٗ بِالْهُدٰى وَدِيْنِ الْحَقِّ سُو
معبودِ برحق گوسُوي تمِ سُو زپنُن پيغمبر برحق بُوڈهدايت هيتهٖ بيه دينِ حق هيتهٖ لِيُظْهِرَهٗ عَلَي الدِّيْنِ كُلِّهٖ
يُتھ تتھ غلبه ديِه سارني دِينن پيٺھ وَلَوْ كَرِهَ الْمُشْرِكُوْنَ اگرچهِ ناخوش اِيتن مُشرڪن يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ
اٰمَنُوْٓا اِنَّ كَثِيْرًا مِّنَ الْاَحْبَارِ وَالرُّهْبَانِ لَيَاْكُلُوْنَ اَمْوَالَ النَّاسِ بِالْبَاطِلِ اَی با ايمانو پڙپاڻهِ
وارياه عالم يهودن هندِ، بيه عابد نصاري ان هندِ ڇه لُوڪن هُند مال کھيوان ناحق. يعني پُزحُڪم ڇهِ ڪھٽان.
عوامن هنزِ ه مرضي مُوافق ڇهِ فتويٰ ليکھان تمن نشهِ نذرانه وصُول ڪران وَيَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ

أَمْوَالَ النَّاسِ بِالْبَاطِلِ وَيَصُدُّونَ عَنْ سَبِيلِ اللَّهِ
وَالَّذِينَ يَكْنِزُونَ الذَّهَبَ وَالْفِضَّةَ وَلَا يُنْفِقُونَهَا فِي
سَبِيلِ اللَّهِ فَبَشِّرْهُمْ بِعَذَابٍ أَلِيمٍ ﴿٣٤﴾ يَوْمَ يُحْمَىٰ عَلَيْهَا
فِي نَارِ جَهَنَّمَ فَتُكْوَىٰ بِهَا جِبَاهُهُمْ وَجُنُوبُهُمْ وَظُهُورُهُمْ
هَٰذَا مَا كَنَزْتُمْ لِأَنْفُسِكُمْ فَذُوقُوا مَا كُنْتُمْ تَكْنِزُونَ ﴿٣٥﴾
إِنَّ عِدَّةَ الشُّهُورِ عِنْدَ اللَّهِ اثْنَا عَشَرَ شَهْرًا فِي

---

اَمی وجہہ چھہِ تمِ لُوکن پتھ رٹان خدایہٕ سنزٕ وتہِ نشہِ یعنی دین اِسلامہ نشہِ۔ کیازِ تہند یوا پڑ یو فتویٰ اوسیت چھہِ لُوکھ دُھوگن منز یتھ، گمرٔاہی منز بوڈِتھ روزان۔ یُوز چھہِنہ قبولی کران۔ بلکہ یُوز ژھانڈ نگ چھوکنہ خیالی گرٕ ھان۔ غایتِ حرص وہوسہ مُوکھ چھہِ مال جمع کران یتھ مُتعلق یہ سخت وعید چھوکہِ وَالَّذِينَ يَكْنِزُونَ الذَّهَبَ وَالْفِضَّةَ وَلَا يُنْفِقُونَهَا فِي سَبِيلِ اللَّهِ بیہِ تمِ لُوکھ جمع کران تہ سونبراوان چھہِ سُون تہ رُوپھ تو پتہ چھہِنہ تھ خرچ کران خدایہٕ سنزٕ وتہِ اَندر فَبَشِّرْهُمْ بِعَذَابٍ أَلِيمٍ پَس وَنِو تمن کُڈٕرہ عذابٕچ بشارت يَوْمَ يُحْمَىٰ عَلَيْهَا فِي نَارِ جَهَنَّمَ یمہِ دوہہ نار جہنمس پیٹھ گرم اِیہِ کرنہ سُوسُون تہ رُوپھ فَتُكْوَىٰ بِهَا جِبَاهُهُمْ پَس یِیہِ داغ کرنہ تمہِ سیت ڈیکن تہندین وَجُنُوبُهُمْ وَظُهُورُهُمْ بیہِ لرہ کانین تہنزن، بیہِ تھرن تہ پُشتن تہندین۔ وننہ اِیکھہ هَٰذَا مَا كَنَزْتُمْ لِأَنْفُسِكُمْ یہِ چھوسُو تُہند مال یُس توہہِ سونبرواتھ اُوسوہ پننہِ خیطرٕ ہ۔ فَذُوقُوا مَا كُنْتُمْ تَكْنِزُونَ پَس ژٕہو مزہ تمیُک یہِ تُہہ سونبراوان آسِوہ۔ چُونکہِ اَمہ برونٹھ آیہِ جنٛگچ ذِکر کرنہ۔ مشرکو اوس خلط وملط کورمُت ریتن ہِندِس حسابَس اَندر۔ مُحرمس آسِ صفر بناوان۔ ذی القعدس آسِ ذی الحجہ بناوان پننہ نیو مصلحتو موجُب۔ تمی مُوکھ فرموو اللہ تعالیٰ اَن إِنَّ عِدَّةَ الشُّهُورِ عِنْدَ اللَّهِ اثْنَا عَشَرَ شَهْرًا پرٕ پاٹھِ اللہ تعالیٰ اَس نِش چھہ ریتن ہنز گرینده باہ ریتھ فِي كِتَابِ اللَّهِ يَوْمَ خَلَقَ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضَ خدایہٕ سنزٕ کِتابہِ یعنی لوحِ محفوظَس اَندر۔ یمہِ دوہہ پیٹھ آسمان تہ زمین پیدہ کورٕن مِنْهَا

كِتٰبِ اللّٰهِ يَوْمَ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ مِنْهَآ
اَرْبَعَةٌ حُرُمٌ ؕ ذٰلِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ ۙ فَلَا تَظْلِمُوْا
فِيْهِنَّ اَنْفُسَكُمْ وَقَاتِلُوا الْمُشْرِكِيْنَ كَآفَّةً كَمَا
يُقَاتِلُوْنَكُمْ كَآفَّةً ؕ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ مَعَ الْمُتَّقِيْنَ ﴿٣٦﴾
اِنَّمَا النَّسِيْٓءُ زِيَادَةٌ فِي الْكُفْرِ يُضَلُّ بِهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا
يُحِلُّوْنَهٗ عَامًا وَّيُحَرِّمُوْنَهٗ عَامًا لِّيُوَاطِـُٔوْا عِدَّةَ مَا حَرَّمَ

---

اَرْبَعَةٌ حُرُمٌ تمَو ریتَو اندرہ چھِ ژور ریتھ تعظیمکِ۔ ذی القعدہ۔ ذی الحجہ۔ محرم تہٕ رجب
ذٰلِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ یُوہے اَمرِ مذکور چھُو حساب، دینِ مُستقیم۔ یعنی ریتن ہُند باہ آسُن۔ تعظیم و
حرمتکِ ریتھ ژور آسنِ۔ اتھ بدل یُوسہ جاہلیتچ طریق آس۔ تمِ آسِ بہور ریتو علاوہ کہنہ ریتھ ہُرہ راوان
تہٕ زیادہ کران۔ بیہِ آسِ تعظیمہ کین ریتَن اَندر تہِ ردّوبدل کران۔ یہِ گئیہِ بددینی۔ دین گوتِ یہِ اللہ تعالیٰ
اَن مقرّر کور فَلَا تَظْلِمُوْا فِيْهِنَّ اَنْفُسَكُمْ پس مہ آسِو یمن ژدرن ریتن اَندرپانہ وانِ لڑایِ
کٔرِتھ تِمَنِ ژون ریتن ہنز بے حرمتی کٔرتھِ پانس پیٹھ ظُلم کران وَقَاتِلُوا الْمُشْرِكِيْنَ كَآفَّةً
كَمَا يُقَاتِلُوْنَكُمْ كَآفَّةً بیہِ آسِو سارِنی مُشرِکن سیتِ جنگ کرنہ خیطرہ تیار روزان یتھ پاٹھِ تمِ توہہِ
سارِنی مُسلمانن سیتِ جنگ کرنہ خیطرِہ آمادہ چھِ وَاعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ مَعَ الْمُتَّقِيْنَ بیہِ زانِو زِہ اللہ تعالیٰ
چھُو پرہیزگارن سیتِ سیتِ۔ تُہہ تھاوِوا ایمان و تقویٰ پنُن شعار کھُو ژومہ کانسہِ اِنَّمَا النَّسِيْٓءُ زِيَادَةٌ فِي
الْكُفْرِ ریتن ہُند اُورہ یُور کرُن، تعظیمہ کین ریتَن ردّوبدل کرُن چھُونہ مگر کُفرس اَندر زیادتی کرُنِ
يُضَلُّ بِهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا عام کافر چھِ اَمہِ سیتِ گمراہ یوان کرنہ يُحِلُّوْنَهٗ عَامًا وَّيُحَرِّمُوْنَهٗ عَامًا
کافِر چھِ اَتھ تعظیمہ کِس ریتس اکہ وریہ پنہ پننو اغراض نفسانیو مٔوکھ حلال زانان۔ یتھے پاٹھِ بیس ریتس
یُس نہ تعظیمُک ریتھ اُوس تعظیمُک ریتھ زانان لِّيُوَاطِـُٔوْا عِدَّةَ مَا حَرَّمَ اللّٰهُ یتھ برابر تھاوَن تعداد

اللهُ فَيُحِلُّوا مَا حَرَّمَ اللهُ ۭ زُيِّنَ لَهُمْ سُوْٓءُ اَعْمَالِهِمْ ۭ وَاللهُ
لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْكٰفِرِيْنَ ﴿٣٧﴾ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَا لَكُمْ
اِذَا قِيْلَ لَكُمُ انْفِرُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللهِ اثَّاقَلْتُمْ اِلَى الْاَرْضِ ۭ
اَرَضِيْتُمْ بِالْحَيٰوةِ الدُّنْيَا مِنَ الْاٰخِرَةِ ۚ فَمَا مَتَاعُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا
فِي الْاٰخِرَةِ اِلَّا قَلِيْلٌ ﴿٣٨﴾ اِلَّا تَنْفِرُوْا يُعَذِّبْكُمْ عَذَابًا اَلِيْمًا ڏ
وَّيَسْتَبْدِلْ قَوْمًا غَيْرَكُمْ وَلَا تَضُرُّوْهُ شَيْــــًٔا ۭ وَاللهُ عَلٰى
كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿٣٩﴾ اِلَّا تَنْصُرُوْهُ فَقَدْ نَصَرَهُ اللهُ اِذْ اَخْرَجَهُ

---

رِیتن ہُند تِم اللہ تعالیٰ اَن محترمہ بناومتِ آسِ فَيُحِلُّوا مَا حَرَّمَ اللهُ یُتھ حلال بناوہ ہَن تِمن رِیتَن تِم اللہ تعالیٰ اَن محترم تہٕ مُعظّم مُقرر کرمِت آسِ زُيِّنَ لَهُمْ سُوْٓءُ اَعْمَالِهِمْ زینت آو دِنہ تھنز ن تِچھہ کامین۔ تِمَن چھہ تمہِ تِچھہ کامہِ جان تہٕ رٔژہ بُوزنہ یِوان وَاللهُ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الْكٰفِرِيْنَ اللہ تعالیٰ چھُونہ وتھ ہاوان تہٕ توفیق دِوان کافرِ قومَس يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَا لَكُمْ اِذَا قِيْلَ لَكُمُ انْفِرُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللهِ اَی باایمانو توہہِ کیاہ سپدَوہ۔ توہہِ یلہِ وَننہ یِوان چھُونیرِ و خدایہِ سنزِہ وَتہِ اندر جہاد کرنہ خیطرہ اثَّاقَلْتُمْ اِلَى الْاَرْضِ مایلِ سپدِو تُہہ زمینَس کُن یعنی کسل و کہالت نیراوِو تُہہ اَرَضِيْتُمْ بِالْحَيٰوةِ الدُّنْيَا مِنَ الْاٰخِرَةِ کیاہ توہہِ آیوہ بُوزنہ جان دنیاء چ زندگی آخرِ تہٕ خوتہ فَمَا مَتَاعُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا فِي الْاٰخِرَةِ اِلَّا قَلِيْلٌ حقیقت چھہ یہِ ہے کہِ دنیاچہِ زندگی ہُند مال و متاع چھُونہ آخرتُس نسبت مگر سیٹھاہ کم اِلَّا تَنْفِرُوْا يُعَذِّبْكُمْ عَذَابًا اَلِيْمًا ہرگاہ نَے تُہہ جہاد کرنہ نیرِ و اللہ تعالیٰ کرِہ وہ کُڈر عذاب۔ وَّيَسْتَبْدِلْ قَوْمًا غَيْرَكُمْ بیہِ انہ توہہِ بدَل بیس قومَس تُہہ ختم کرِتھ وَلَا تَضُرُّوْهُ شَيْــــًٔا تُہہ ہیکو نہ خدایہ سندس دِینَس کُنہِ قسمہ ضرر واتناوِتھ وَاللهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ اللہ تعالیٰ چھُو پرِیتھ چیزَس پیٹھ قُدرتہٕ وول اِلَّا تَنْصُرُوْهُ فَقَدْ نَصَرَهُ اللهُ ہرِگاہ نَے تُہہ اُمسِ پیغمبر بر حقس مدد کرِو کانہہ پرواہ چھُونہ۔

الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ثَانِيَ اثْنَيْنِ إِذْ هُمَا فِي الْغَارِ إِذْ يَقُوْلُ لِصَاحِبِهٖ لَا تَحْزَنْ إِنَّ اللّٰهَ مَعَنَا ۚ فَأَنْزَلَ اللّٰهُ سَكِيْنَتَهٗ عَلَيْهِ وَأَيَّدَهٗ بِجُنُوْدٍ لَّمْ تَرَوْهَا وَجَعَلَ كَلِمَةَ الَّذِيْنَ كَفَرُوا السُّفْلٰى ۗ وَكَلِمَةُ اللّٰهِ هِيَ الْعُلْيَا ۗ وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿٤٠﴾ اِنْفِرُوْا خِفَافًا وَّثِقَالًا وَّجَاهِدُوْا بِأَمْوَالِكُمْ وَأَنْفُسِكُمْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ۗ ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ إِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿٤١﴾

---

بیشک اللہ تعالیٰ اَن کٔر تِمن پننِ یاری تہٕ مَدد تمہِ وقتہٕ یمہِ وقتہٕ زیادہ پریشانی ہندوقت اُوس إِذْ أَخْرَجَهُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا یلہِ تِمن کافرِ و تنگ کٔرتھ پنٕن شہر تہٕ وطن تراوٕنس پیٹھ مجبور کٔرِ ثَانِيَ اثْنَيْنِ یلہِ تِم آسِ دوٚیو منزٕ دوٚیِمۍ صاحب بیاکھ صاحِب اُوس ابوبکرِ صدیق تِمن سیتِ إِذْ هُمَا فِي الْغَارِ یلہِ تِم دشوِے آسِ گوپھہِ اندر یتھ غارِ ثور آسِ ونان إِذْ يَقُوْلُ لِصَاحِبِهٖ یلہِ پیغمبر برحق پنٕنس یار غارس ابُو بکر صدیقس فرماوان اُوس لَا تَحْزَنْ إِنَّ اللّٰهَ مَعَنَا کھوژمہٕ، غم مہٕ بر۔ بیشک اللہ تعالیٰ سُند مدد چھُو اَسہِ سیتِ فَأَنْزَلَ اللّٰهُ سَكِيْنَتَهٗ عَلَيْهِ پَس تروو اللہ تعالیٰ اَن دِلُک قرار تہٕ تسلّی تِمن پیٹھ وَأَيَّدَهٗ بِجُنُوْدٍ لَّمْ تَرَوْهَا بیہٕ کور تِمن مَدد اللہ تعالیٰ اَن ملایگن ہنزٕ تمہِ لشکرٕ سیت یُس نہٕ توہہ وِچھون وَجَعَلَ كَلِمَةَ الَّذِيْنَ كَفَرُوا السُّفْلٰى بیہٕ تروو اللہ تعالیٰ اَن کافرن ہنز کتھ یعنی شرک وکُفر کہ اشاعتچ کتھ سیٹھاہ بون تہٕ پست تِم کٔرِن خوار و ذلیل وَكَلِمَةُ اللّٰهِ هِيَ الْعُلْيَا اللہ تعالیٰ سُند کلمِ چھُو سیٹھاہ بُلند وَاللّٰهُ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو غالبِ حکمتہٕ وول۔ اِنْفِرُوْا خِفَافًا وَّثِقَالًا اَی مسلمانو نیران آسِو جہادہٕ خیطرٕ یمہِ ساتہٕ تُہہ نیرنہٕ خیطرٕ اعلان آسہِ یوان کرنہٕ۔ سِلاح ورایِ تہٕ سِلاح پُورِ تھٕ تہٕ وَّجَاهِدُوْا بِأَمْوَالِكُمْ وَأَنْفُسِكُمْ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بیہٕ آسِو جہاد کران خدایہ سنزٕ وتہٕ اَندر مال وجانہٕ سیتِ۔ ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ إِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ اِی چھُو تُہندِ خیطرٕ بہتر ہرگاہ تُہہ زانان چھِوٕ لَوْ كَانَ عَرَضًا قَرِيْبًا وَّسَفَرًا قَاصِدًا ہرگاہ آسہِ ہا مالاہ جلد حاصل سپدٕوُن بیہٕ آسہِ ہا سفراہ تہٕ ژھوٹ

لَوْ كَانَ عَرَضًا قَرِيبًا وَّسَفَرًا قَاصِدًا لَّاتَّبَعُوكَ
وَلٰكِنْ بَعُدَتْ عَلَيْهِمُ الشُّقَّةُ ۚ وَسَيَحْلِفُونَ بِاللّٰهِ
لَوِ اسْتَطَعْنَا لَخَرَجْنَا مَعَكُمْ ۚ يُهْلِكُونَ أَنْفُسَهُمْ ۚ
وَاللّٰهُ يَعْلَمُ إِنَّهُمْ لَكٰذِبُونَ ﴿٤٢﴾ عَفَا اللّٰهُ عَنْكَ ۚ لِمَ
أَذِنْتَ لَهُمْ حَتّٰى يَتَبَيَّنَ لَكَ الَّذِينَ صَدَقُوا وَتَعْلَمَ
الْكٰذِبِينَ ﴿٤٣﴾ لَا يَسْتَأْذِنُكَ الَّذِينَ يُؤْمِنُونَ بِاللّٰهِ
وَالْيَوْمِ الْآخِرِ أَنْ يُجَاهِدُوا بِأَمْوَالِهِمْ وَأَنْفُسِهِمْ ۗ

---

لَّاتَّبَعُوكَ تہ نيرہ ھَن مُنافق توھان سيتِ وَلٰكِنْ بَعُدَتْ عَلَيْهِمُ الشُّقَّةُ ليکن تمو زون کہِ سفرچ مَسافت چھہ سیٹھاہ زیٹھ تمی لگِ تمِ ارہ سرہ کرنہِ وَسَيَحْلِفُونَ بِاللّٰهِ لَوِ اسْتَطَعْنَا لَخَرَجْنَا مَعَكُمْ بیہ ونن تمِ خدایہ سُند قسم ہاوِتھ زِہ ہرگاہ اسہِ وسعت آسہا اس تہِ نیرہ ہو توہی سیتِ۔ يُهْلِكُونَ أَنْفُسَهُمْ اپزِ قسم ہاوِہاوِ چھہِ تمِ پنن پان ہلاک کران مُستحق عذاب کران وَاللّٰهُ يَعْلَمُ إِنَّهُمْ لَكٰذِبُونَ اللہ تعالیٰ چھوزانان زِہ بیشک چھہِ تمِ اپزیرِ عَفَا اللّٰهُ عَنْكَ لِمَ أَذِنْتَ لَهُمْ اللہ تعالیٰ ان کور توہہِ عفو ۔ توہہِ کیاہز دیو توہ تمن اجازت جنگہ نشہِ پتھ روز نگ۔ تُہہ پیارِ زِہ ہے حَتّٰى يَتَبَيَّنَ لَكَ الَّذِينَ صَدَقُوا وَتَعْلَمَ الْكٰذِبِينَ یُو تانِ توہہِ ننہِ ہاگموونِ پوز، بیہ زانہ ہو کھ تُہہ اپزیرِ۔ لَا يَسْتَأْذِنُكَ الَّذِينَ يُؤْمِنُونَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْآخِرِ أَنْ يُجَاهِدُوا بِأَمْوَالِهِمْ وَأَنْفُسِهِمْ توہہِ نہ حض منگن نہ اجازت تمِ لوکھ یم پزھ کران آسِ معبودِ برحقس بیہ پتمِس دوہس یعنی قیامتس دوہس تمِ کیارو زن پتھ مال وجانو سیتِ جہاد کرنہ نشہِ وَاللّٰهُ عَلِيمٌ بِالْمُتَّقِينَ اللہ تعالیٰ چھُو پوَرزانان پرہیزگارن إِنَّمَا يَسْتَأْذِنُكَ الَّذِينَ لَا يُؤْمِنُونَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْآخِرِ اجازت منگن تیم لوکھ

وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِالْمُتَّقِيْنَ ﴿٤٤﴾ اِنَّمَا يَسْتَاْذِنُكَ الَّذِيْنَ
لَا يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ وَارْتَابَتْ قُلُوْبُهُمْ
فَهُمْ فِيْ رَيْبِهِمْ يَتَرَدَّدُوْنَ ﴿٤٥﴾ وَلَوْ اَرَادُوا الْخُرُوْجَ
لَاَعَدُّوْا لَهٗ عُدَّةً وَّلٰكِنْ كَرِهَ اللّٰهُ انْۢبِعَاثَهُمْ
فَثَبَّطَهُمْ وَقِيْلَ اقْعُدُوْا مَعَ الْقٰعِدِيْنَ ﴿٤٦﴾
لَوْ خَرَجُوْا فِيْكُمْ مَّا زَادُوْكُمْ اِلَّا خَبَالًا
وَّلَاۡاَوْضَعُوْا خِلٰلَكُمْ يَبْغُوْنَكُمُ الْفِتْنَةَ

---

تم نہ پڑھہ کران چھہ معبود برحقس نہ پتمس دوہس **وَارْتَابَتْ قُلُوْبُهُمْ فَهُمْ فِيْ رَيْبِهِمْ يَتَرَدَّدُوْنَ** بیہ تمن شک چھو دِلن اندر پس چھہ تم تمنی شکن اندر حیران سرگردان پھیران **وَلَوْ اَرَادُوا الْخُرُوْجَ لَاَعَدُّوْا لَهٗ عُدَّةً** ہرگاہ تمن جہادس نیرہ نک ارادہ آسہاتلہ کرہن تیاری تمہ خیطرہ سِلاح سامانہ سیتِ بیہ کرہن وَتہ خرچ بند وبست **وَّلٰكِنْ كَرِهَ اللّٰهُ انْۢبِعَاثَهُمْ فَثَبَّطَهُمْ** لیکن اللہ تعالیٰ اَن کرُنا پسند تہوند نیرنہ خیطرہ آمادہ سپدن پس کرِن تم گانگلہ۔ اَوکن دِژنکھ نہ اتھ وَتھ۔ **وَقِيْلَ اقْعُدُوْا مَعَ الْقٰعِدِيْنَ** وننہ آو تمن بہوِ بہوالَن سیتِ یعنی زنانن نابالغن تہ معذورنَ سیتِ **لَوْ خَرَجُوْا فِيْكُمْ مَّا زَادُوْكُمْ اِلَّا خَبَالًا** ہرگاہ تمِ نیرہ ہَن توہہِ سیتِ توہہِ منز ہُر اوہ ہَن نہ کیہنہ تہِ خرابی تہ نقصانہ ورای **وَّلَاۡاَوْضَعُوْا خِلٰلَكُمْ** بیہ کرہ ہَن سیٹھاہ جلدی توہہِ منز تفرقہ تراونہ خیطرہ **يَبْغُوْنَكُمُ الْفِتْنَةَ** تمِ چھہِ تلاش کران توہہِ منز فتنہ تہ فساد واقع سپد نک **وَفِيْكُمْ سَمّٰعُوْنَ لَهُمْ** توہہِ منز تہِ چھہِ کاتیاہ تہنزن کتھن گن تھوہ ون **وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِالظّٰلِمِيْنَ** اللہ تعالیٰ اَس چھہِ پور معلوم مفسِد تہ ظالم **لَقَدِ ابْتَغَوُا الْفِتْنَةَ مِنْ قَبْلُ وَقَلَّبُوْا**

وَفِيكُمْ سَمّٰعُونَ لَهُمْ ۗ وَاللّٰهُ عَلِيمٌۢ بِالظّٰلِمِينَ ﴿٤٧﴾
لَقَدِ ابْتَغَوُا الْفِتْنَةَ مِنْ قَبْلُ وَقَلَّبُوا لَكَ الْأُمُورَ
حَتّٰى جَآءَ الْحَقُّ وَظَهَرَ أَمْرُ اللّٰهِ وَهُمْ كٰرِهُونَ ﴿٤٨﴾
وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّقُولُ ائْذَنْ لِّي وَلَا تَفْتِنِّي ۗ أَلَا فِي
الْفِتْنَةِ سَقَطُوا ۗ وَإِنَّ جَهَنَّمَ لَمُحِيطَةٌۢ بِالْكٰفِرِينَ ﴿٤٩﴾
إِنْ تُصِبْكَ حَسَنَةٌ تَسُؤْهُمْ ۖ وَإِنْ تُصِبْكَ مُصِيبَةٌ
يَّقُولُوا قَدْ أَخَذْنَا أَمْرَنَا مِنْ قَبْلُ وَيَتَوَلَّوْا وَّهُمْ

---

لَكَ الْأُمُورَ تحقیق تِمو کٔر برونٛٹھ تہٕ کوشش فساد چ بیہٕ آسِ دِوان وَرتھہزن کامین حَتّٰى جَآءَ الْحَقُّ وَظَهَرَ أَمْرُ اللّٰهِ یُوتانِ پُز وعدہ آو غالِب سپُد خدایہ سُند حُکم۔ وَهُمْ كٰرِهُونَ تِم آسِ نہ تتھ پسندی کران۔ تِتھے پاٹھِ سپدہ آیندہ تہٕ تُہہ مہ بٕرو کانٛہہ فکر وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّقُولُ ائْذَنْ لِّي وَلَا تَفْتِنِّي تِمو مُنافقو منزٕ چھُ سُو شخص تہٕ یِم وون مےٚ دِیو حُض اجات میہ مہ ترٛاوِو خرابی اَندر مےٚ مہ حُض کٔرِو رُومہ چَن حُسین زنانن ہندِ سببہ گرِفتارِ بَلا أَلَا فِي الْفِتْنَةِ سَقَطُوا وارہ بُوزِو تِم چھِہ بیس بلایہ منزٕ پیمتیِ۔ سوگیہ نافرمانی ہنز بلای کیازِ رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلّمن ہنزِ نافرمانی تہٕ کُفرٕ خوتہٕ چھُنہ بیہٕ کانٛہہ خرابی وَإِنَّ جَهَنَّمَ لَمُحِيطَةٌۢ بِالْكٰفِرِينَ پزٕ پاٹھِ جہنّم چھُ کافرِن تہٕ نافرمانن اِحاطہ کرِتھ وُن إِنْ تُصِبْكَ حَسَنَةٌ تَسُؤْهُمْ ہرگاہ تُہہِ کانٛہہ رُت چیز اہ واتان چھُو، رٕژِ حالتا ہ پیدہ سپدان چھِہ تِمن چھُو تہٕ ناخوش بِوان وَإِنْ تُصِبْكَ مُصِيبَةٌ بیہ ہرگاہ تُہہِ واتان چھُو کانٛہہ غماہ يَقُولُوا قَدْ أَخَذْنَا أَمْرَنَا مِنْ قَبْلُ وَنان چھِہ تِم تہٕ اَسہِ چھِہ پنٛنِ کٲم برونٛٹھی پوٚختاوِمٕژ۔ پان پٔنٛن بچوومُت وَيَتَوَلَّوْا وَّهُمْ فَرِحُونَ بیہٕ چھِہ تُہہِ نشہِ نیران تہٕ گرٛشان، خوشیہ ماران تہٕ شادیانہ کران۔

فَرِحُونَ ﴿٥٠﴾ قُلْ لَّنْ يُّصِيْبَنَآ اِلَّا مَا كَتَبَ اللّٰهُ لَنَا ۚ هُوَ مَوْلٰىنَا ۚ وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُوْنَ ﴿٥١﴾ قُلْ هَلْ تَرَبَّصُوْنَ بِنَآ اِلَّآ اِحْدَى الْحُسْنَيَيْنِ ؕ وَنَحْنُ نَتَرَبَّصُ بِكُمْ اَنْ يُّصِيْبَكُمُ اللّٰهُ بِعَذَابٍ مِّنْ عِنْدِهٖٓ اَوْ بِاَيْدِيْنَا ۖؗ فَتَرَبَّصُوْٓا اِنَّا مَعَكُمْ مُّتَرَبِّصُوْنَ ﴿٥٢﴾ قُلْ اَنْفِقُوْا طَوْعًا اَوْ كَرْهًا لَّنْ يُّتَقَبَّلَ مِنْكُمْ ؕ اِنَّكُمْ كُنْتُمْ قَوْمًا فٰسِقِيْنَ ﴿٥٣﴾ وَمَا مَنَعَهُمْ اَنْ تُقْبَلَ مِنْهُمْ نَفَقٰتُهُمْ اِلَّآ

---

الله تعاليٰ ڇو فرماوان تمن ونو حض تهه جواب ڏي ڪٿهه. اهه قُلْ لَّنْ يُّصِيْبَنَآ اِلَّا مَا كَتَبَ اللّٰهُ لَنَا تهه فرمايو ڪه يارسول الله هر گز واتهِ نه اسهِ ڪانهه چيز مگر سوي يس سانهِ خيطره مقرر ڪورمت آسهِ الله تعاليٰ اَن هُوَ مَوْلٰىنَا سوي ڇهوسون مالڪِ ته آغه وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُوْنَ الله تعاليٰ سي پيٺ گڙهِ باايمانن هُند اعتماد ڪرن. تس گڙهن پنهِ سارے ڪامهِ سپرد ڪرنهِ. بيا ڪٿهه يه ڪه قُلْ هَلْ تَرَبَّصُوْنَ بِنَآ اِلَّآ اِحْدَى الْحُسْنَيَيْنِ تهه فرمايو ڪه تهه ڇهوه نه پياران سانهِ خيطره مگر دُويوُ خو بيو اندره اڪس خوبي. سوگيهِ نصرت يا شهادت وَنَحْنُ نَتَرَبَّصُ بِكُمْ اَنْ يُّصِيْبَكُمُ اللّٰهُ بِعَذَابٍ مِّنْ عِنْدِهٖٓ اس ڇهِ پياران تهندهِ خيطره يتهه ڪٿهه ڪه خداوندِ تعاليٰ وا تناوه توهه پنهِ طرفه ڪانهه عذابا اَوْ بِاَيْدِيْنَا ياسانوِي اٿهو ديه توهه ڪانهه سزا فَتَرَبَّصُوْٓا اِنَّا مَعَكُمْ مُّتَرَبِّصُوْنَ ٿس پيارِو تهه اسِ ته ڇهِ توهي سيتِ پياران قُلْ اَنْفِقُوْا طَوْعًا اَوْ كَرْهًا تهه فرمايو ڪه يارسول الله ڪه اي منافقو تهه ڪرتو خرچ، خوشي سان يا ناخوشي سان لَّنْ يُّتَقَبَّلَ مِنْكُمْ تهند خيرات وصدقات هرگز قبول ايه نه ڪرنه. اِنَّكُمْ كُنْتُمْ قَوْمًا فٰسِقِيْنَ ڪيازه تهه ڇهوه نافرمان لوڪه وَمَا مَنَعَهُمْ اَنْ تُقْبَلَ مِنْهُمْ نَفَقٰتُهُمْ اِلَّآ

أَنَّهُمْ كَفَرُوا بِاللَّهِ وَبِرَسُولِهِ وَلَا يَأْتُونَ الصَّلَوٰةَ
إِلَّا وَهُمْ كُسَالَىٰ وَلَا يُنفِقُونَ إِلَّا وَهُمْ كَٰرِهُونَ ﴿٥٤﴾
فَلَا تُعْجِبْكَ أَمْوَٰلُهُمْ وَلَآ أَوْلَٰدُهُمْ ۚ إِنَّمَا يُرِيدُ اللَّهُ لِيُعَذِّبَهُم
بِهَا فِى الْحَيَوٰةِ الدُّنْيَا وَتَزْهَقَ أَنفُسُهُمْ وَهُمْ كَٰفِرُونَ ﴿٥٥﴾
وَيَحْلِفُونَ بِاللَّهِ إِنَّهُمْ لَمِنكُمْ وَمَا هُم مِّنكُمْ وَلَٰكِنَّهُمْ قَوْمٌ
يَفْرَقُونَ ﴿٥٦﴾ لَوْ يَجِدُونَ مَلْجَـًٔا أَوْ مَغَٰرَٰتٍ أَوْ مُدَّخَلًا
لَّوَلَّوْا إِلَيْهِ وَهُمْ يَجْمَحُونَ ﴿٥٧﴾ وَمِنْهُم مَّن يَلْمِزُكَ

---

أَنَّهُمْ كَفَرُوا بِاللَّهِ وَبِرَسُولِهِ کا نہ چیز ڇھونہ منع کران ٿهند خیرات وصدقات قبول کرڻ نشہ۔ مگر یوٴ ہے بوڈ چیز کہ تموٴ کور اِنکار معبودِ برحقس بیہِ تھندِس پیغمبرس وَلَا يَأْتُونَ الصَّلَوٰةَ إِلَّا وَهُمْ كُسَالَىٰ بیہِ ڇھنہ تمِ نماز پران مگر کھالتہ سان وَلَا يُنفِقُونَ إِلَّا وَهُمْ كَٰرِهُونَ بیہِ ڇھنہ تمِ مال خرچ کران مگر ناخوشی سیت فَلَا تُعْجِبْكَ أَمْوَٰلُهُمْ وَلَآ أَوْلَٰدُهُمْ توہہِ مہ اِین جان تہ عجایب بوزنہ تھند مال یا یہند اولاد۔ یہ تھندِ خیطرہ نعمت ڇھنہ بلکہ ڇھوٗ عذاب إِنَّمَا يُرِيدُ اللَّهُ لِيُعَذِّبَهُم بِهَا فِى الْحَيَوٰةِ الدُّنْيَا اللہ تعالیٰ ڇھونہ یژھان مگر یلی زہ تمن تمہِ مالہ سیتِ تہ اولادن ہندہ سیت عذابس گرفتار کرن دُنیاچہِ زندگی اندری وَتَزْهَقَ أَنفُسُهُمْ وَهُمْ كَٰفِرُونَ بیہِ نیرن تھندِ زُو کُفرسیِ اَندر یعنی تمِ مَرن درحالتِ کُفر وَيَحْلِفُونَ بِاللَّهِ إِنَّهُمْ لَمِنكُمْ وَمَا هُم مِّنكُمْ بیہِ ڇھہِ تمِ قسم ہاوان خدایہ سندِ یتھ پیٹھ کہِ تمِ ڇھہِ توہی منزہ حقیقت ڇھہ کہِ تمِ توہہِ منزہ ڇھنہ وَلَٰكِنَّهُمْ قَوْمٌ يَفْرَقُونَ مگر تمِ ڇھہِ جماعتھاہ بُزدِل۔ کھوژان توہہِ۔ لَوْ يَجِدُونَ مَلْجَـًٔا أَوْ مَغَٰرَٰتٍ أَوْ مُدَّخَلًا ہرگاہ تمِ لَبن کانہہ ژھپن جایاہ یا کانہہ سرتاباہ تہ گوپھاہ یا کانہہ اژنِج جایاہ لَّوَلَّوْا إِلَيْهِ وَهُمْ يَجْمَحُونَ ضرور دُورہ ہن تمن جاین کُن ووٹہ تُلان وَمِنْهُم مَّن يَلْمِزُكَ فِى الصَّدَقَٰتِ بیہِ ڇھوٗ تموٴ منافقو اندرہ تمِ توہہِ طعنہ

فِي الصَّدَقٰتِ ۚ فَإِنْ أُعْطُوا مِنْهَا رَضُوا وَإِنْ لَّمْ يُعْطَوْا
مِنْهَآ إِذَا هُمْ يَسْخَطُونَ ﴿٥٨﴾ وَلَوْ أَنَّهُمْ رَضُوا مَآ اٰتٰىهُمُ اللّٰهُ
وَرَسُولُهُۥ وَقَالُوا حَسْبُنَا اللّٰهُ سَيُؤْتِينَا اللّٰهُ مِنْ فَضْلِهٖ وَ
رَسُولُهُۥٓ إِنَّآ إِلَى اللّٰهِ رٰغِبُونَ ﴿٥٩﴾ إِنَّمَا الصَّدَقٰتُ لِلْفُقَرَآءِ
وَالْمَسٰكِينِ وَالْعٰمِلِينَ عَلَيْهَا وَالْمُؤَلَّفَةِ قُلُوبُهُمْ وَفِي
الرِّقَابِ وَالْغٰرِمِينَ وَفِي سَبِيلِ اللّٰهِ وَابْنِ السَّبِيلِ ۖ فَرِيضَةً
مِّنَ اللّٰهِ ۗ وَاللّٰهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ ﴿٦٠﴾ وَمِنْهُمُ الَّذِينَ يُؤْذُونَ

---

دِوان چھِہ صد قاتگس مالس تقسیم کرنس اندرونان چھِہ نعوذ باللہ اَمہِ کِس تقسیمس اندر آوَنہ عدل کرنہ
فَإِنْ أُعْطُوا مِنْهَا رَضُوا وَإِنْ لَّمْ يُعْطَوْا مِنْهَآ إِذَا هُمْ يَسْخَطُونَ پَس ہر گاہ تِمن تہنزِ ہ خواہشہ مطابق
کنہہ عطایِیہِ ہاکرنہ تلہِ گژھہ ہن تمِ خوش یلہِ نہ تِمن تہنزِ ہ خواہشہ مطابق آوَ عطاکرنہ۔ لہٰذا چھِہ تمِ بے
زار تہ ناخوش وَلَوْ أَنَّهُمْ رَضُوا مَآ اٰتٰىهُمُ اللّٰهُ وَرَسُولُهُۥ ہر گہے تمِ راضیِ سپدہ ہن تمہِ سیتِ یہِ
تِمن خدایَن تہ تہندِ پیغمبرن دِژ ہو وَقَالُوا حَسْبُنَا اللّٰهُ سَيُؤْتِينَا اللّٰهُ مِنْ فَضْلِهٖ وَرَسُولُهُۥٓ بیہ ہر گاہِ
تمِ ونہ ہن بَس چھُو اَسہِ تہِ یہِ اللہ تعالیٰ اَن اَسہِ عطاکور پنُن فضل بیہ تہندِ پیغمبرن إِنَّآ إِلَى اللّٰهِ رٰغِبُونَ
اسِ چھِہ گوڈہ پیٹھے اللہ تعالیٰ اَس کُن راغب سپدہ وَنِ۔ تَس نِش چھِہ اسِ امیدوار إِنَّمَا الصَّدَقٰتُ
لِلْفُقَرَآءِ وَالْمَسٰكِينِ وَالْعٰمِلِينَ عَلَيْهَا وَالْمُؤَلَّفَةِ قُلُوبُهُمْ وَفِي الرِّقَابِ وَالْغٰرِمِينَ وَفِي سَبِيلِ اللّٰهِ
وَابْنِ السَّبِيلِ صدقات وخیراتن ہُند مال چھُونہ مگر محتاجن ہندِ ہ خیطرِ ہ بیہِ مسکینَن ہندِ ہ خیطرِ ہ بیہِ
صدقاتن ہُند مال وصول کرہ وُنین ہندِ ہ خیطرِ ہ۔ بیہِ یہندِ دِل اِسلامَس کُن مائل کرنِ آسَن۔ بیہِ غلامن
ہنزِ ہ گردَنہ آزاد کرنہ خیطرِ ہ۔ بیہِ قرضدان ہندِ ہ خیطرِ ہ۔ بیہِ خدایہِ سنزِ ہ وَتہِ اَندر جہاد کرہ وُنَین ہندِ ہ
خیطرِ ہ بیہِ مُسافرِن ہندِ ہ خیطرِ ہ فَرِيضَةً مِّنَ اللّٰهِ وَاللّٰهُ عَلِيمٌ حَكِيمٌ یہوی چھُو فرض تہ مُقرر کرنہ

النَّبِيَّ وَيَقُوْلُوْنَ هُوَ اُذُنٌ ؕ قُلْ اُذُنُ خَيْرٍ لَّكُمْ يُؤْمِنُ بِاللّٰهِ وَيُؤْمِنُ لِلْمُؤْمِنِيْنَ وَرَحْمَةٌ لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مِنْكُمْ ؕ وَالَّذِيْنَ يُؤْذُوْنَ رَسُوْلَ اللّٰهِ لَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿٦١﴾ يَحْلِفُوْنَ بِاللّٰهِ لَكُمْ لِيُرْضُوْكُمْ ۚ وَاللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗۤ اَحَقُّ اَنْ يُّرْضُوْهُ اِنْ كَانُوْا مُؤْمِنِيْنَ ﴿٦٢﴾ اَلَمْ يَعْلَمُوْۤا اَنَّهٗ مَنْ يُّحَادِدِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ فَاَنَّ لَهٗ نَارَ جَهَنَّمَ

---

آمُت خدا يِ سندِ ه طرفه. الله تعاليٰ ڇهو پو رزانهِ ڏن حڪمة وول وَمِنْهُمُ الَّذِيْنَ يُؤْذُوْنَ النَّبِيَّ تِموَ منافقوا اندره ڇهِ بعضي يم تڪليف ڇهِ واتناوان نبي ڪر تمَس ڳهوسيتِ. وَيَقُوْلُوْنَ هُوَ اُذُنٌ دِپان ڇهِ نعوذ بالله ڪنه نيڎ سارني هنزن ڪهن گن ٿوان. لهذا ڇهو تمن اُپزوَنتهِ دهوڪه ڏين آسان قُلْ تُهه فرماويُو کهِ ڪِه اُذُنُ خَيْرٍ لَّكُمْ تم ڇهِ تهندِ ه خيطر ه بهتري سارني گن ٿهاوان تمن ڇهو فِڪر ه تران ڪهه شخص ڪمهِ قسيچ ڪته ڇهو نان. مگر تم ڇهِ تهنزِ ه فريب ڪاري پيٹھ چشم پوشي ڪران. تمِ تُهنزن ڪهن اِيمان انه ونِ ڇهنهِ يُؤْمِنُ بِاللّٰهِ بلڪه تمِ ڇه خدايه پاڪه سندِس ڪلام پاگس ايمان اَنان ته يقين ڪران وَيُؤْمِنُ لِلْمُؤْمِنِيْنَ بيهِ ڇهِ تمِ باايمانن هنزن ڪهَن يمهِ ايماندارانه ته مُخلصانه آسان ڇهِ ايمان انان ته يقين ڪران وَرَحْمَةٌ لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مِنْكُمْ بيهِ ڇهِ تم مهربان تمن هندِ ه خيطر ه يموا ايمان اُون توهِ اندره وَالَّذِيْنَ يُؤْذُوْنَ رَسُوْلَ اللّٰهِ لَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ بيهِ تمِ لُوڪه ايذاته تڪليف واتناوَن ڳهَوسيتِ پيغمبر خدايَس تهندِ ه خيطر ه ڇهو ڪُڈر عذاب يَحْلِفُوْنَ بِاللّٰهِ لَكُمْ لِيُرْضُوْكُمْ قسم ڇهِ هاوان خدايِ سُند توهِ بُرونٹھ ڪنهِ تُهه راضي ڪرنه خيطر ه وَاللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗۤ اَحَقُّ اَنْ يُّرْضُوْهُ الله تعاليٰ ته تُهند پيغمبر ڇهو زياده حق ٿهاوان تمِ ڪياِن راضي ڪرنه اِنْ كَانُوْا مُؤْمِنِيْنَ هرگاه تمِ پزِ پاٹھِ باايمان آسَن اَلَمْ يَعْلَمُوْۤا اَنَّهٗ مَنْ يُّحَادِدِ اللّٰهَ وَرَسُوْلَهٗ آيا تمَن ڇهنا خبر زهِ يُس اکهاه مخالفت ته مقابله ڪِره خدايَس ته تهندِس پيغمبرس سيتِ فَاَنَّ لَهٗ نَارَ جَهَنَّمَ خَالِدًا فِيْهَا بيشڪ تهندي

خَالِدًا فِيهَا ۚ ذَٰلِكَ الْخِزْيُ الْعَظِيمُ ﴿٦٣﴾ يَحْذَرُ الْمُنَافِقُونَ
أَن تُنَزَّلَ عَلَيْهِمْ سُورَةٌ تُنَبِّئُهُم بِمَا فِي قُلُوبِهِمْ ۚ
قُلِ اسْتَهْزِئُوا إِنَّ اللَّهَ مُخْرِجٌ مَّا تَحْذَرُونَ ﴿٦٤﴾ وَلَئِن
سَأَلْتَهُمْ لَيَقُولُنَّ إِنَّمَا كُنَّا نَخُوضُ وَنَلْعَبُ ۚ قُلْ أَبِاللَّهِ
وَآيَاتِهِ وَرَسُولِهِ كُنتُمْ تَسْتَهْزِئُونَ ﴿٦٥﴾ لَا تَعْتَذِرُوا قَدْ
كَفَرْتُم بَعْدَ إِيمَانِكُمْ ۚ إِن نَّعْفُ عَن طَائِفَةٍ مِّنكُمْ
نُعَذِّبْ طَائِفَةً بِأَنَّهُمْ كَانُوا مُجْرِمِينَ ﴿٦٦﴾ الْمُنَافِقُونَ

---

خیطرہ چھو نارِ جہنّم یتھ منز تِمن ہمیشہ رُوزِت عذابس گرفتار سپدُن آسہِ ذَٰلِكَ الْخِزْيُ الْعَظِيمُ یہے گیہ بڑ خواری يَحْذَرُ الْمُنَافِقُونَ أَن تُنَزَّلَ عَلَيْهِمْ سُورَةٌ تُنَبِّئُهُم بِمَا فِي قُلُوبِهِمْ کھوژان چھہِ منافِق مُسلمانَن پیٹھ گژھنہ بواسطہ نبی کریم صلی اللہ علیہِ وسلّم کانہہ سورہ شریفاہ یا آیَیہ کریماہ نازِل سپدُن یُس تِمن خبر کرہِ مُنافقَن ہندیَن دِلن ہنزن کھوڑہ پھچن ہنز قُلِ اسْتَهْزِئُوا إِنَّ اللَّهَ مُخْرِجٌ مَّا تَحْذَرُونَ تُہہ فرماوِیُو کھ تُہہ گژھو ٹھٹھہ کران۔ یزپاٹھِ اللہ تعالیٰ نر اوِہ تتھ سارِسی یَتھ تُہہ کھوژان چھوِہ وَلَئِن سَأَلْتَهُمْ لَيَقُولُنَّ إِنَّمَا كُنَّا نَخُوضُ وَنَلْعَبُ ہر گاہ تُہہ پرژھیو کھ کہِ یِمہِ کتھہ کِیازِ آسوہ تُہہ کران ضرور ونن تتھ جواب کہِ اسِ آسِ نہ مگر کتھاہ باتھاہ ٹھٹھہ مَحولاہ کران۔ اَمہِ اندرہ اُوسنہ اَسہِ حقیقی معنی مُراد قُلْ أَبِاللَّهِ وَآيَاتِهِ وَرَسُولِهِ كُنتُمْ تَسْتَهْزِئُونَ تُہہ فرماوِیو کھ کیاہ خدائس بیہ تہندین آیاتن بیہ تہندِس پیغمبرس نسبت آسِوہ تُہہ ٹھٹھہ کران لَا تَعْتَذِرُوا قَدْ كَفَرْتُم بَعْدَ إِيمَانِكُمْ ووَنِ مہ کرِو تِمہِ بے ہُودہ تہ لغو عذرتہ بہانہ۔ بتحقیق توہہِ کورِوہ کُفر ایمان ظاہر کرنہ پتہ إِن نَّعْفُ عَن طَائِفَةٍ مِّنكُمْ نُعَذِّبْ طَائِفَةً بِأَنَّهُمْ كَانُوا مُجْرِمِينَ ہر گاہ اسِ معاف کرِو توہہِ اندرہ اکِس جماعتَس یِمہِ جُرمَس پیٹھ نادِم تہ پشیمان سپدِن مگر بیٚیس جماعتَس کرِو ضرور عذاب۔ کیازِہ تِمہِ رُودِ

وَالْمُنٰفِقٰتُ بَعْضُهُمْ مِّنْۢ بَعْضٍ ۘ يَاْمُرُوْنَ بِالْمُنْكَرِ وَيَنْهَوْنَ عَنِ الْمَعْرُوْفِ وَيَقْبِضُوْنَ اَيْدِيَهُمْ ۭ نَسُوا اللّٰهَ فَنَسِيَهُمْ ۭ اِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ هُمُ الْفٰسِقُوْنَ ﴿٦٧﴾ وَعَدَ اللّٰهُ الْمُنٰفِقِيْنَ وَالْمُنٰفِقٰتِ وَالْكُفَّارَ نَارَ جَهَنَّمَ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ۭ هِىَ حَسْبُهُمْ ۚ وَلَعَنَهُمُ اللّٰهُ ۚ وَلَهُمْ عَذَابٌ مُّقِيْمٌ ﴿٦٨﴾ كَالَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ كَانُوْٓا اَشَدَّ مِنْكُمْ قُوَّةً وَّاَكْثَرَ اَمْوَالًا وَّاَوْلَادًا ۭ فَاسْتَمْتَعُوْا بِخَلَاقِهِمْ فَاسْتَمْتَعْتُمْ

---

بدستور جُرم کران۔ اَلْمُنٰفِقُوْنَ وَالْمُنٰفِقٰتُ بَعْضُهُمْ مِّنْۢ بَعْضٍ مُنافق مرد تہِ مُنافِق زنانہ چھہ اکھ اکِس ہی نفاقس اندر۔ يَاْمُرُوْنَ بِالْمُنْكَرِ وَيَنْهَوْنَ عَنِ الْمَعْرُوْفِ تِچھہ کامین ہُند چھہِ لُوکن صلاح دِوان۔ کُفر و مخالِفت اِسلاچ چھہِ لُوکن تعلیم دِوان۔ رژو کامیو ایمان تہ مُتابعتِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلّمہٕ نِشہِ چھکھِ پھرِ ان تہ پتھ رٹان وَيَقْبِضُوْنَ اَيْدِيَهُمْ مُوچھہِ پننہِ چھہِ وَٹتھ تھوان۔ خدایہ سنزِ ہ وَتہِ اندر چھنہِ کینہہ تہ خرچ کران نَسُوا اللّٰهَ فَنَسِيَهُمْ تموٚ مشرو و خدا۔ فرمانبرداری نہ کرنہ سیتِ۔ پَس مشراوِ تمِ تہ خداین پننہ نیو لُطف و مہربانیوٚ نِشہ اِنَّ الْمُنٰفِقِيْنَ هُمُ الْفٰسِقُوْنَ پزپاٹھِ تمِ مُنافق چھہِ سیٹھاہ سرکش تہ نافرمان وَعَدَ اللّٰهُ الْمُنٰفِقِيْنَ وَالْمُنٰفِقٰتِ وَالْكُفَّارَ نَارَ جَهَنَّمَ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا وعدہ کور اللہ تعالیٰ اَن مُنافق مردَن بیہِ مُنافق زنانَن بیہِ نَنہِ وانہ کافرِن نارِ جہنمّک، یتھ منز تمِ ہمیشہ روزَن هِىَ حَسْبُهُمْ سُوی نارِ جہنّم چھو تمن بَس وَلَعَنَهُمُ اللّٰهُ وَلَهُمْ عَذَابٌ مُّقِيْمٌ تمِ کرِ اللہ تعالیٰ اَن دُور پننہِ رحمتہ نِشہِ۔ بیہ چھو تہندِ ی خیطرہ ہمیشہ روزہ وُن عذاب كَالَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ كَانُوْٓا اَشَدَّ مِنْكُمْ قُوَّةً وَّاَكْثَرَ اَمْوَالًا وَّاَوْلَادًا اَی مُنافقو تُہہ چھوِہ تمن لُوکن ہی تمِ توہہِ برونٹھ

بِخَلَاقِكُمْ كَمَا اسْتَمْتَعَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ بِخَلَاقِهِمْ وَخُضْتُمْ كَالَّذِيْ خَاضُوْا ؕ اُولٰٓئِكَ حَبِطَتْ اَعْمَالُهُمْ فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ۚ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ ﴿۶۹﴾ اَلَمْ يَاْتِهِمْ نَبَاُ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ قَوْمِ نُوْحٍ وَّعَادٍ وَّثَمُوْدَ ۬ۙ وَقَوْمِ اِبْرٰهِيْمَ وَاَصْحٰبِ مَدْيَنَ وَالْمُؤْتَفِكٰتِ ؕ اَتَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ ۚ فَمَا كَانَ اللّٰهُ لِيَظْلِمَهُمْ وَلٰكِنْ كَانُوْٓا اَنْفُسَهُمْ

---

گُذرے۔ تمِ آسِ طاقت و توانائی کِن تُہندِہ خوتہ زیادہ بیہِ آسِ تُہندِہ خوتہ زیادہ مالہ کِن بیہِ اولادِ کِن فَاسْتَمْتَعُوْا بِخَلَاقِهِمْ پَس تُل تمو تمتع تہ فایدہ پننہِ نصیبہ موجُب فَاسْتَمْتَعْتُمْ بِخَلَاقِكُمْ تُہہ تہِ تُلوِ تمتع پننہ نصیبہ موجُب۔ كَمَا اسْتَمْتَعَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ بِخَلَاقِهِمْ یتھ پاٹھِ تمو تمتع تُل پننہِ نصیبہ موجب تمِ توہہِ برونٹھ آسِ وَخُضْتُمْ كَالَّذِيْ خَاضُوْا تُہہ تہِ ژاوہ یِچھ کامین اندر تِتھے پاٹھِ یتھ پاٹھِ تمِ ژامتِ آسِ اُولٰٓئِكَ حَبِطَتْ اَعْمَالُهُمْ فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ تِمے لُوکھ گے تمِ تِمَنِ ہنزہ رژہ عملہ ضائع گئیہ دنیاءس اندر تہ آخرتَس اندر تہ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ تِمَے چھِ بیہِ تاوان زد دنیاو آخرچہ راحت و آرامہ نِشہِ محروم اَلَمْ يَاْتِهِمْ نَبَاُ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ قَوْمِ نُوْحٍ وَّعَادٍ وَّثَمُوْدَ وَقَوْمِ اِبْرٰهِيْمَ وَاَصْحٰبِ مَدْيَنَ وَالْمُؤْتَفِكٰتِ کیاہ تِمَنِ چھنا واژ مژ تِمَن لُوکن ہندِہ گِلِنچ خبر تمِ یمن برونٹھ آسِ، قوم نوحچ، قوم عادچ تہ قوم ثمودچ۔ بیہِ قوم ابراہیمچ۔ بیہِ شہرِ مدینہ کین لوکن، بیہِ قومِ لوطچ یمن ہنزن بستِین تلک پیٹھ سپُد اَتَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ تِمَن نِشہِ تہ آیِ پیغمبر تہندِ ننہِ دَلیلہ ہیتھ۔ مگر تمو کرنا فرمانی تمی نافرمانی سیتِ گئے بُرباد تہ ہلاک فَمَا كَانَ اللّٰهُ لِيَظْلِمَهُمْ وَلٰكِنْ كَانُوْٓا اَنْفُسَهُمْ يَظْلِمُوْنَ امہِ بُربادی سیتِ کورنہ اللہ تعالیٰ اَن تِمَن پیٹھ کیہنہ ظُلم تمِ آسِ پننہ نین پانَن پیٹھ پانے ظُلم کران، خدایہ سنز نافرمانی کرنہ سیت۔ تِمَنِ مُنافقن ہُند تہِ گژھِہ کھوژُن اتھہ عذابس وَالْمُؤْمِنُوْنَ وَالْمُؤْمِنٰتُ بَعْضُهُمْ اَوْلِيَآءُ بَعْضٍ باایمان مرد بیہِ باایمان زنانہ تمِ چھِ اڈاڈِین ہندِ

يَظْلِمُونَ ﴿٧٠﴾ وَالْمُؤْمِنُونَ وَالْمُؤْمِنٰتُ بَعْضُهُمْ أَوْلِيَاءُ
بَعْضٍ يَأْمُرُونَ بِالْمَعْرُوفِ وَيَنْهَوْنَ عَنِ الْمُنْكَرِ
وَيُقِيمُونَ الصَّلٰوةَ وَيُؤْتُونَ الزَّكٰوةَ وَيُطِيعُونَ اللّٰهَ
وَرَسُولَهٗ ۚ أُولٰٓئِكَ سَيَرْحَمُهُمُ اللّٰهُ ۗ إِنَّ اللّٰهَ عَزِيزٌ حَكِيمٌ ﴿٧١﴾
وَعَدَ اللّٰهُ الْمُؤْمِنِينَ وَالْمُؤْمِنٰتِ جَنّٰتٍ تَجْرِي مِنْ تَحْتِهَا
الْأَنْهٰرُ خٰلِدِينَ فِيهَا وَمَسٰكِنَ طَيِّبَةً فِي جَنّٰتِ عَدْنٍ ۚ
وَرِضْوَانٌ مِّنَ اللّٰهِ أَكْبَرُ ۚ ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيمُ ﴿٧٢﴾ ع

---

ديني رفيق ۽ دوست يَأْمُرُونَ بِالْمَعْرُوفِ وَيَنْهَوْنَ عَنِ الْمُنْكَرِ تهم ڇهه رڙن ڪامين هُند
امر ڪران، ڇهه ڪاميو نشهه پٺه رٽان۔ وَيُقِيمُونَ الصَّلٰوةَ وَيُؤْتُونَ الزَّكٰوةَ بيه ڇهه تم نماز
بَرپا ٿاوان بيه زڪوٰة ادا ڪران وَيُطِيعُونَ اللّٰهَ وَرَسُولَهٗ بيه ڇهه حُڪم مانان خدايه سند بيه تهندس پيغمبره
سند۔ أُولٰٓئِكَ سَيَرْحَمُهُمُ اللّٰهُ تيمے لوکھ گئے تم يمن پيٹھ ضرور الله تعالیٰ رحم ڪره۔ إِنَّ اللّٰهَ عَزِيزٌ
حَكِيمٌ بيشڪ الله تعالیٰ ڇھو سيٹھاه غالب سيٹھا حڪمتهٖ ڈول وَعَدَ اللّٰهُ الْمُؤْمِنِينَ وَالْمُؤْمِنٰتِ جَنّٰتٍ
تَجْرِي مِنْ تَحْتِهَا الْأَنْهٰرُ وعده ڪور الله تعالیٰ ان باايمان مردن ته باايمان زنانن تمن جنتن هُند يمو
منز جويه پکان آسن خٰلِدِينَ فِيهَا تمی جنتن منز روزن هميشه وَمَسٰكِنَ طَيِّبَةً بيه نفيس نفيس مڪانن
هُند فِي جَنّٰتِ عَدْنٍ هميشه روزه نه گن جنتن منز وَرِضْوَانٌ مِّنَ اللّٰهِ أَكْبَرُ بيه رضامندی الله تعالیٰ
سنز۔ سو ڇھه سارِوی نعمتو اندره بڈ نعمت ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيمُ يهے گئيه بڈر ستگاری ته ڪاميابی
يٰٓأَيُّهَا النَّبِيُّ جٰهِدِ الْكُفَّارَ وَالْمُنٰفِقِينَ وَاغْلُظْ عَلَيْهِمْ اى پيغمبر بر حق جهاد ڪر وڪافرن ته منافقن
سيت۔ بيه ڪر درشتی ته سختی تمن پيٹھ وَمَأْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ ۖ وَبِئْسَ الْمَصِيرُ تهنز جای ڇھه جهنّم ڪاڑاه ڇھ

يَآيُّهَا النَّبِيُّ جَاهِدِ الْكُفَّارَ وَالْمُنٰفِقِيْنَ وَاغْلُظْ عَلَيْهِمْ ۭ وَمَاْوٰىهُمْ جَهَنَّمُ ۭ وَبِئْسَ الْمَصِيْرُ ﴿٧٣﴾ يَحْلِفُوْنَ بِاللّٰهِ مَا قَالُوْا ۭ وَلَقَدْ قَالُوْا كَلِمَةَ الْكُفْرِ وَكَفَرُوْا بَعْدَ اِسْلَامِهِمْ وَهَمُّوْا بِمَا لَمْ يَنَالُوْا ۚ وَمَا نَقَمُوْٓا اِلَّآ اَنْ اَغْنٰىهُمُ اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗ مِنْ فَضْلِهٖ ۚ فَاِنْ يَّتُوْبُوْا يَكُ خَيْرًا لَّهُمْ ۚ وَاِنْ يَّتَوَلَّوْا

---

يَحْلِفُوْنَ بِاللّٰهِ مَا قَالُوْا تِمِ مُنافق چھِ قسم ہاوان خدایہ سُند کہِ اَسہِ دون جایاہ چھہ سئو تِہندہ واتنہ خیطرہ نہ تمہِ قسمک کیہنہ تِمیُوک توہہِ پیغام ووت۔ مثلاً یہِ کتھ کہِ تِم آسِ دپان اسِ کرون شہید حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم وَلَقَدْ قَالُوْا كَلِمَةَ الْكُفْرِ بیشک وُنہِ تِموٗ کُفر چہِ کتھ تِتھہ لفظ نسبت بذاتِ مُقدّسِ حضرتِ رسُولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلّم یا تِہندِہ قتلک اِرادہ کرُن۔ یہ تہِ گوٗ کُفری وَكَفَرُوْا بَعْدَ اِسْلَامِهِمْ اِسلام ظاہر کرتھِ کورُکھ کُفر وَهَمُّوْا بِمَا لَمْ يَنَالُوْا بیہِ کریوکھ قصد تِمہِ گوٗی یہِ نہ حاصِل سپُد کھ۔ جنگِ تبوٗکہ نِشہِ واپسی اَندر کریُوکھ قصد بے خبری اَندر نبی کریمس پیٹھ حملہ کرِتھ تِہندِہ شہادتُک۔ مگر تِتھ منز سپُد ناکام۔ تِمہِ ساتہ آسِ نبی کریمس سیت حذیفہ بن یمان بیہ عمارِ بن یاسر۔ لشکرہ نِشہِ الگ سپُدِتھ یلہِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم اکہِ کوہہ پیٹھِ آسِ ترُن یژھان۔ باہ شخص مُنافقو اندرہ تِم نقاب پوٗش آسِ، یِتھنہ کانہہ تِمن پرزہ ناوِہا۔ تِم دُورے تِمنِ ترین صاحبن پتہ۔ چنانچہ عمار بن یاسر کور تِموٗ گیر۔ حذیفہ بن یمان رُود تِہندین ووٹن ہندِ چانٹ دِگان۔ یُوتانِ تِم ساری ژلِ۔ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلّمو فرموٗو تِمن بہن ١٢ شخصن ہندِ ناوٗ پنہ نین دون رفیقن۔ مگر فرموٗوہکھ وُنِ گژھہ نہ کانسہِ۔ وَمَا نَقَمُوْٓا اِلَّآ اَنْ اَغْنٰىهُمُ اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗ مِنْ فَضْلِهٖ بیہِ ہیوت نہ تِموٗ کُنہِ چیزک انتقام مگر یمہِ گوٗی کہ اللہ تعالیٰ اَن تہِ تِہندِہ پیغمبرن کیاکرِ تِم مُنافق مالدار تہِ دولت مند پننہِ فضلہ سیتِ۔ تِمہِ گوٗی بدلہ چھہِ تِم ہوٗران۔ خدایس تہِ رسُولس سیتِ دغا بازی کران فَاِنْ يَّتُوْبُوْا يَكُ خَيْرًا لَّهُمْ وَاِنْ يَّتَوَلَّوْا يُعَذِّبْهُمُ اللّٰهُ عَذَابًا اَلِيْمًا فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ پَس ہر گاہ تِم مُنافق توبہ

يُعَذِّبْهُمُ اللّٰهُ عَذَابًا اَلِيْمًا فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ۚ وَمَا لَهُمْ
فِي الْاَرْضِ مِنْ وَّلِيٍّ وَّلَا نَصِيْرٍ ﴿٧٤﴾ وَمِنْهُمْ مَّنْ عٰهَدَ اللّٰهَ لَئِنْ
اٰتٰىنَا مِنْ فَضْلِهٖ لَنَصَّدَّقَنَّ وَلَنَكُوْنَنَّ مِنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿٧٥﴾
فَلَمَّآ اٰتٰىهُمْ مِّنْ فَضْلِهٖ بَخِلُوْا بِهٖ وَتَوَلَّوْا وَّهُمْ مُّعْرِضُوْنَ ﴿٧٦﴾
فَاَعْقَبَهُمْ نِفَاقًا فِيْ قُلُوْبِهِمْ اِلٰى يَوْمِ يَلْقَوْنَهٗ بِمَآ اَخْلَفُوا
اللّٰهَ مَا وَعَدُوْهُ وَبِمَا كَانُوْا يَكْذِبُوْنَ ﴿٧٧﴾ اَلَمْ يَعْلَمُوْٓا

---

کرن، یمو حرکاتو نِشہِ بازِین، بصدقِ دِل سپدن مُسلمان تہٕ گژھہِ تہندِہ خیطرہ بہتر۔ ہرگاہ تمہٕ نِشہِ رُوگردانی کرن بدستور روزن دغا بازی کران اللہ تعالیٰ گرِہ تلہِ تمن سخت عذاب دُنیاء س اندرتہٕ آخرتس اندرتہٕ وَمَا لَهُمْ فِي الْاَرْضِ مِنْ وَّلِيٍّ وَّلَا نَصِيْرٍ بیہِ چھُونہٕ تمن تمام رویِ زمینس اَندر کانہہ دُوستاہ نہ کانہہ مددگاراہ۔ وَمِنْهُمْ مَّنْ عٰهَدَ اللّٰهَ لَئِنْ اٰتٰىنَا مِنْ فَضْلِهٖ لَنَصَّدَّقَنَّ وَلَنَكُوْنَنَّ مِنَ الصّٰلِحِيْنَ یمو مُنافقو اندرہ چھہِ تمِ یمو خدایس سیتِ عہد کورمُت اُوس زِہ ہرگاہ اللہ تعالیٰ اَسہِ عطا کرہِ پنُن فضل یعنی مال و دولت اسِ کرو ضرور خیرات و صدقات بیہِ بنَواسِ نیکو کارو اندرہ فَلَمَّآ اٰتٰىهُمْ مِّنْ فَضْلِهٖ بَخِلُوْا بِهٖ وَتَوَلَّوْا وَّهُمْ مُّعْرِضُوْنَ اَدہ یلہِ اللہ تعالیٰ اَن عطا کور تمن پنُن فضل یعنی مال تتھِ منز کورُکھ بخل۔ بیہِ پھرُکھ بُتھ۔ تمِ آسِ ہمیشہ بُتھ پھرِہ ونیِ فَاَعْقَبَهُمْ نِفَاقًا فِيْ قُلُوْبِهِمْ اِلٰى يَوْمِ يَلْقَوْنَهٗ پَس دِیُتھ اللہ تعالیٰ اَن سزا تمیُک۔ نِفاق تروُون تہندین دِلن اَندر تتھ دوہَس تانِ یمہِ دوہہ تمِ تس گژھن یعنی مرنکس وقتس تانِ بِمَآ اَخْلَفُوا اللّٰهَ مَا وَعَدُوْهُ اَمی سببہ کہِ تمو کور خِلاف تتھ وعدس یُس تمو خدایس سیت کورمُت اُوس۔ اگرچہ سُو وعدہ اُوس کورمُت تمو نبی کرِ یمس سیتِ صلی اللہ علیہ وسلم۔ مگر تمن سیتِ عہد کرن گو خدایس سیت عہد کرن وَبِمَا كَانُوْا يَكْذِبُوْنَ بیہِ اَمہِ سببہ کہِ تمِ آسِ ہمیشہ اپزِ ونان اَلَمْ يَعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ سِرَّهُمْ وَنَجْوٰىهُمْ کیاہ تمن چھنا تیچ خبر کہ اللہ تعالیٰ چھُو زانان تہندِ سرِ، راز۔ بیہِ تہنزہ کن گتھہ، بیہِ یہِ کتھہ کہِ وَاَنَّ اللّٰهَ عَلَّامُ الْغُيُوْبِ اللہ

أَنَّ ٱللَّهَ يَعْلَمُ سِرَّهُمْ وَنَجْوَىٰهُمْ وَأَنَّ ٱللَّهَ عَلَّٰمُ ٱلْغُيُوبِ ﴿٧٨﴾ ٱلَّذِينَ يَلْمِزُونَ ٱلْمُطَّوِّعِينَ مِنَ ٱلْمُؤْمِنِينَ فِى ٱلصَّدَقَٰتِ وَٱلَّذِينَ لَا يَجِدُونَ إِلَّا جُهْدَهُمْ فَيَسْخَرُونَ مِنْهُمْ ۙ سَخِرَ ٱللَّهُ مِنْهُمْ وَلَهُمْ عَذَابٌ أَلِيمٌ ﴿٧٩﴾ ٱسْتَغْفِرْ لَهُمْ أَوْ لَا تَسْتَغْفِرْ لَهُمْ إِن تَسْتَغْفِرْ لَهُمْ سَبْعِينَ مَرَّةً فَلَن يَغْفِرَ ٱللَّهُ لَهُمْ ۚ ذَٰلِكَ بِأَنَّهُمْ كَفَرُوا۟ بِٱللَّهِ وَرَسُولِهِۦ ۗ وَٱللَّهُ لَا يَهْدِى ٱلْقَوْمَ ٱلْفَٰسِقِينَ ﴿٨٠﴾ فَرِحَ ٱلْمُخَلَّفُونَ بِمَقْعَدِهِمْ

---

تعالیٰ چھُو سارے غیبہٕ چیزِ کتھہ زانہٕ وُن۔ اَلَّذِیۡنَ یَلۡمِزُوۡنَ الۡمُطَّوِّعِیۡنَ مِنَ الۡمُؤۡمِنِیۡنَ فِی الصَّدَقٰتِ تِم مُنافِق چھِہ تِتھی کہِ تِم چھِہ طعنہ دِوان تِمن باایمانن تِم نفلک صدقات دِوان چھِہ وَالَّذِیۡنَ لَا یَجِدُوۡنَ اِلَّا جُہۡدَہُمۡ فَیَسۡخَرُوۡنَ مِنۡہُمۡ ؕ سَخِرَ اللّٰہُ مِنۡہُمۡ بیہ تِم باایمان تِمن نہ زیادہ بنان چھُو کینہہ۔ تِم چھِہ یوانِ تتوی ہیتھ یُوت تِمن مُمکن تہٕ میسّر سپدِ کھ محنت مزورِ کرِ تھ۔ تِم منافق چھِہ تِمن ٹھٹھہ کران۔ اللہ تعالیٰ تہٕ چھُو تِمن مُنافقن ٹھٹھہ کرِ نک سزا دِوان وَلَہُمۡ عَذَابٌ اَلِیۡمٌ تہندِ ی خیطرہٕ چھُو کُڈر عذاب اِسۡتَغۡفِرۡ لَہُمۡ اَوۡ لَا تَسۡتَغۡفِرۡ لَہُمۡ ژُہہ منگتو مغفرت تہندہٕ خیطرہٕ یا مہ منگتو مغفرت تہندہٕ خیطرہ اِنۡ تَسۡتَغۡفِرۡ لَہُمۡ سَبۡعِیۡنَ مَرَّۃً ہرگاہ ژُہہ تہندہٕ خیطرہ ستہٕ پھرہٕ تہٕ مغفرت منگو فَلَنۡ یَّغۡفِرَ اللّٰہُ لَہُمۡ تُو تہٕ کرِہ نہ اللہ تعالیٰ تِمن مغفرت ہرگزِ ذٰلِکَ بِاَنَّہُمۡ کَفَرُوۡا بِاللّٰہِ وَرَسُوۡلِہٖ یہ چھُو امی مُوکھ زِہ یِمو پاٹھِ تِمو کور کُفر وانکار کُنس خدایس بیہ تہندِس پیغمبرس وَاللّٰہُ لَا یَہۡدِی الۡقَوۡمَ الۡفٰسِقِیۡنَ اللہ تعالیٰ چھُو نہ وَتھ ہاوان یتھین نافرمانن تہٕ سرکش لُوکن فَرِحَ الۡمُخَلَّفُوۡنَ بِمَقۡعَدِہِمۡ خِلٰفَ رَسُوۡلِ اللّٰہِ وَکَرِہُوۡۤا اَنۡ یُّجَاہِدُوۡا بِاَمۡوَالِہِمۡ وَاَنۡفُسِہِمۡ فِیۡ سَبِیۡلِ اللّٰہِ جہاد نشہ پتھ روزن وأل چھ خوش کہ تِم کیاہ رود رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلمس برخلاف پتھ بہت بیہ ناگوار گو تِمن جہاد کرن پنہ نیو جانو تہٕ مالو سیتِ خدایہ سنزِہ

اَنۡ اُبَدِّلَهٗ مِنۡ تِلۡقَآئِ نَفۡسِیۡ ۚ اِنۡ اَتَّبِعُ اِلَّا مَا یُوۡحٰۤی اِلَیَّ ۚ اِنِّیۡۤ اَخَافُ اِنۡ عَصَیۡتُ رَبِّیۡ عَذَابَ یَوۡمٍ عَظِیۡمٍ ﴿۱۵﴾ قُلۡ لَّوۡ شَآءَ اللّٰهُ مَا تَلَوۡتُهٗ عَلَیۡکُمۡ وَلَاۤ اَدۡرٰىکُمۡ بِهٖ ۫ۖ فَقَدۡ لَبِثۡتُ فِیۡکُمۡ عُمُرًا مِّنۡ قَبۡلِهٖ ؕ اَفَلَا تَعۡقِلُوۡنَ ﴿۱۶﴾ فَمَنۡ اَظۡلَمُ مِمَّنِ افۡتَرٰی عَلَی اللّٰهِ کَذِبًا اَوۡ کَذَّبَ بِاٰیٰتِهٖ ؕ اِنَّهٗ لَا یُفۡلِحُ الۡمُجۡرِمُوۡنَ ﴿۱۷﴾ وَیَعۡبُدُوۡنَ مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ مَا لَا یَضُرُّهُمۡ

---

خِلاف چھِہ قُلۡ تُہہ فرماوِیُو کھ مَا یَکُوۡنُ لِیۡۤ اَنۡ اُبَدِّلَهٗ مِنۡ تِلۡقَآئِ نَفۡسِیۡ مےٚ چھُنہٕ اختیاری بو کیاہ بدلاوہ اتھ کیٚہن پننہِ طرفہٕ کیازِہ یہِ چھامہِ پٔنن کلام اِنۡ اَتَّبِعُ اِلَّا مَا یُوۡحٰۤی اِلَیَّ بُو چھُس نہٕ پکان مگر تمی حُکمہ موجب یُس مےٚ گٔن سوزنہٕ یِوان چھُو اِنِّیۡۤ اَخَافُ اِنۡ عَصَیۡتُ رَبِّیۡ عَذَابَ یَوۡمٍ عَظِیۡمٍ پٔز پاٹھِ بو چھُس کھوژان ہرگاہ بو نافرمانی کرہ پننہٕ نٕس مالکہٕ سنز بڈِہ دوہہ کسِ عذابٕس سُو گو روز قیامت قُلۡ تُہہ فرماوِیُو کھ ہز لَّوۡ شَآءَ اللّٰهُ مَا تَلَوۡتُهٗ عَلَیۡکُمۡ وَلَاۤ اَدۡرٰىکُمۡ بِهٖ ہرگاہ اللہ تعالیٰ یژھِہ ہا بو پٔرہ ہانہ توہہِ پیٹھ قرآنِ مجید۔ بیہِ کرہ ہانہ توہہِ اِچ خبر فَقَدۡ لَبِثۡتُ فِیۡکُمۡ عُمُرًا مِّنۡ قَبۡلِهٖ بُو رودُس توہہِ منز عُمرِ ہ ہندِس اکِس بڈِس حصس، ژتجھن ۴۰ ؤرِہن ہِمہِ برونٹھ (ہرگاہ مہ پننہِ طرفہ کیٚہنہ پیش کرُن آسہاتلہِ کرہ ہا بو تتھ وقتس اندر تہٕ پیش۔ مگر توہہِ چھُو معلوم میون سوروی حال لوکچارہ پیٹھ) اَفَلَا تَعۡقِلُوۡنَ کونہ چھِوہ تُہہ عقل کران فَمَنۡ اَظۡلَمُ مِمَّنِ افۡتَرٰی عَلَی اللّٰهِ کَذِبًا اَوۡ کَذَّبَ بِاٰیٰتِهٖ پَس کُہہ اکھاہ چھُو یژ ظالم تَس شخصہ سندِہ خوتہٕ یُس اپز نوو راوِہ معبودِ برحقس پیٹھ یا زانہِ اپز تہندِ آیات اِنَّهٗ لَا یُفۡلِحُ الۡمُجۡرِمُوۡنَ پٔز پاٹھِ کامیاب گژھن نہ نافرمان۔ خدایس شریک ٹھہراوہ ونِ وَیَعۡبُدُوۡنَ مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ مَا لَا یَضُرُّهُمۡ وَلَا یَنۡفَعُهُمۡ بیہِ چھِہ تِم پرستش کران معبودِ برحقس ورای تِمن چیزن ہنز یِم نہ تِمن کانہہ ضرر ہیکن واتناوِتھ۔نہ کانہہ فایدہ۔ وَیَقُوۡلُوۡنَ هٰۤؤُلَآءِ شُفَعَآؤُنَا عِنۡدَ اللّٰهِ بیہِ چھِہ ونان تِم مُشرِک یِم چیز کرن اَسہٕ سُفارِش خدایس نِشہِ (تمی چھِہ اسِ یِہنز پرستش کران) قُلۡ اَتُنَبِّـُٔوۡنَ اللّٰهَ بِمَا لَا یَعۡلَمُ

وَلَا يَنْفَعُهُمْ وَيَقُولُونَ هٰٓؤُلَآءِ شُفَعَآؤُنَا عِنْدَ اللّٰهِ ۚ قُلْ
أَتُنَبِّـُٔونَ اللّٰهَ بِمَا لَا يَعْلَمُ فِي السَّمٰوٰتِ وَلَا فِي الْأَرْضِ ۚ
سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُونَ ﴿١٨﴾ وَمَا كَانَ النَّاسُ
إِلَّآ أُمَّةً وَّاحِدَةً فَاخْتَلَفُوا ۚ وَلَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِنْ
رَّبِّكَ لَقُضِيَ بَيْنَهُمْ فِيمَا فِيهِ يَخْتَلِفُونَ ﴿١٩﴾ وَيَقُولُونَ
لَوْلَآ أُنْزِلَ عَلَيْهِ اٰيَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ ۚ فَقُلْ إِنَّمَا

---

فِي السَّمٰوٰتِ وَلَا فِي الْأَرْضِ تُہہ فرماوِیُو کھ کیاہ تُہہ چھِوہ خدایس وَنان تمہِ خبرہ یمہِ نہ سُوزانہِ نہ آسمانس اندر تہٕ نہ زمین اندر (یعنی یلہِ تس کانہہ شریک آسہِ ہاکُنہ چیزس اندر تلہِ وَنہ ہاسُو پانہ تتھ مُتعلّق) سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُونَ منزّہ تہٕ پاک چھُو سُو تمو سارِوی چیزو ونشہِ یم چیز لُوکھ تس شریک چھِہ ٹھہراوان۔ معلوم سپُد شِرک چھُو عقلاً تہٕ شرعاً باطِل آسنکہِ علاوہ منزے ٹھہراونہ آمُت۔ چنانچہ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان وَمَا كَانَ النَّاسُ إِلَّآ أُمَّةً وَّاحِدَةً فَاخْتَلَفُوا بیہِ آس نہ لُوکھ ابتداءَس اندر مگر اکی امتّہاہ موٗحدن ہنز کیازِہ حضرتِ آدم علیہ السلام تمِ آسِ موٗحد۔ تمن پتہٕ تِہندِ اولاد تمِ تہٕ آسِ موٗحد اکسی عقیدس پیٹھ۔ پس کر تمو اندرہ بعضیو اختلاف۔ تمِ سپدِ مُشرِک وَلَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِنْ رَّبِّكَ لَقُضِيَ بَيْنَهُمْ فِيمَا فِيهِ يَخْتَلِفُونَ ہرگاہ نَے فیصلہ ازلی آسِہا برونٹھ سپدمُت تُہندِس پروردگارہ سندِہ طرفہٕ، سُو گوٗ دُنیا چھُو دارُ العمل آخِرت چھُو دارُ الجزاء۔ نتہٕ بیہِ ہاضرور تِمنِ درمیان فیصلہ کرنہ تتھ مسئلس منز یتھ منز تِم اختلاف کران چھِہ۔ یعنی تِم مُشرِک یِہن دُنیاسی اندر عذابس گرفتار کرنہ وَيَقُولُونَ لَوْلَآ أُنْزِلَ عَلَيْهِ اٰيَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ بیہِ چھِہ وَنان یِم مکک مُشرِک محض عِنادہ کِن باوجودِ ظُہورِ مُعجزات کثیراہ کہِ اَمِس پیغمبرس پیٹھ کونہ سپد نازِل برونٹھمِن ہندِ پاٹھ فرمایشی معجزاہ۔ چونکہِ معجزہ اندرہ چھُو مقصود ثبوتِ نبوت۔ یہِ سپدہ حاصلِ پریتھ مُعجزہ سیت۔ لہٰذا چھنہ ضرورت فرمایشی معجزن ہندِہ واقع سپدنچ۔ مگر مُمکن چھُو تمو معجزو اندرہ سپدَن واقع کینہہ مُعجزہ یا

الْغَيْبُ لِلّٰهِ فَانْتَظِرُوْا ۚ اِنِّيْ مَعَكُمْ مِّنَ الْمُنْتَظِرِيْنَ ﴿۲۰﴾
وَاِذَآ اَذَقْنَا النَّاسَ رَحْمَةً مِّنْۢ بَعْدِ ضَرَّآءَ مَسَّتْهُمْ اِذَا لَهُمْ مَّكْرٌ
فِيْٓ اٰيَاتِنَا ۭ قُلِ اللّٰهُ اَسْرَعُ مَكْرًا ۭ اِنَّ رُسُلَنَا يَكْتُبُوْنَ مَا تَمْكُرُوْنَ ﴿۲۱﴾
هُوَ الَّذِيْ يُسَيِّرُكُمْ فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ ۭ حَتّٰٓي اِذَا كُنْتُمْ فِي الْفُلْكِ ۚ وَ
جَرَيْنَ بِهِمْ بِرِيْحٍ طَيِّبَةٍ وَّفَرِحُوْا بِهَا جَآءَتْهَا رِيْحٌ عَاصِفٌ
وَّجَآءَهُمُ الْمَوْجُ مِنْ كُلِّ مَكَانٍ وَّظَنُّوْٓا اَنَّهُمْ اُحِيْطَ بِهِمْ ۙ دَعَوُا

---

سپدان نہ۔ یہ چھُ غیبی امورَ واندرہ اکھ چیزاہ۔ بو علمِ غیب زانہ کینہہ تہِ۔ فَقُلْ اِنَّمَا الْغَيْبُ لِلّٰهِ فَانْتَظِرُوْا اِنِّيْ مَعَكُمْ مِّنَ الْمُنْتَظِرِيْنَ پَس فرماوُکھ تہہ کہ غیبُچ خبر چھنہ مگر خدایہ سی یاژ۔ پَس پیارِ وتہہ بُوتہ چھُوس توہی سیتِ پیارہ ونیو اندرہ۔ اتھ چھُونہ مصبِ رسالتس سیتِ کانہہ تعلق وَاِذَآ اَذَقْنَا النَّاسَ رَحْمَةً مِّنْۢ بَعْدِ ضَرَّآءَ مَسَّتْهُمْ یلہِ اسِ مزہ چھکھ ژہہ ناوان تِم لُوکھ کُنہ نعمتُک۔ تِمی سختی پتہ یُس تِمن واژمژ آسان چھِ اِذَا لَهُمْ مَّكْرٌ فِيْٓ اٰيَاتِنَا تانِ چھِ ہیوان تِم شرارت گرنِ سانین آیاتن نسبت۔ یعنی تِمو آیاتو نشہِ چھِ اعراض کران۔ تِمن پیٹھ چھِ اعتراض کران تِمنِ نسبت چھِ ٹھٹھ تہ استہزاء کران قُلِ اللّٰهُ اَسْرَعُ مَكْرًا تُہہ فرماوُکھ اللہ تعالیٰ چھُ تہندِ ہ خوتہ تیز کار سازی اندر۔ امہِ شرارتکِ سزا دیہِ سُو توہہِ سیٹھاہ جلد اِنَّ رُسُلَنَا يَكْتُبُوْنَ مَا تَمْكُرُوْنَ پزپاٹھِ سانِ سوزمتِ لیکھن والِ چھِ لیکھان سُو کار سازی تہ شرارت یُس تُہہ کران چھِوہ۔ پروردگارس معلوم آسنہِ علاوہ چھِ تُہنزہ شرارتچہ کامہِ سانس دفترس اندر تہ محفوظ هُوَ الَّذِيْ يُسَيِّرُكُمْ فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ سُو گوسُوی پروردگارُیس توہہِ سیر کرہ ناوان چھُو خشکی پیٹھ تہ دریاوَن منز تہِ۔ یعنی یِمو آلا تو تہ سامانو سیتِ برّی و بحری وَتھ طے کران چھِوہ تِم ساری آلات واسباب چھِ اللہ تعالیٰ انیٔ عطا کرِمت حَتّٰٓي اِذَا كُنْتُمْ فِي الْفُلْكِ وَجَرَيْنَ بِهِمْ بِرِيْحٍ طَيِّبَةٍ تاایکہِ یلہِ تُہہ گُنہِ ساتہ دریاوس منز چھِوہ آسان ناوَن تہ جہازَن منز سوار۔ ناوہ تہ جہاز چھِ آسان مُوافق ہواوہ سیتِ پکان وَّفَرِحُوْا بِهَا جَآءَتْهَا رِيْحٌ عَاصِفٌ ساری سوار چھِ آسان

اللّٰهَ مُخْلِصِيْنَ لَهُ الدِّيْنَ ۚ لَئِنْ اَنْجَيْتَنَا مِنْ هٰذِهٖ لَنَكُوْنَنَّ
مِنَ الشّٰكِرِيْنَ ﴿۲۲﴾ فَلَمَّاۤ اَنْجٰىهُمْ اِذَا هُمْ يَبْغُوْنَ فِي الْاَرْضِ بِغَيْرِ
الْحَقِّ ؕ يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ اِنَّمَا بَغْيُكُمْ عَلٰۤى اَنْفُسِكُمْ ۙ مَّتَاعَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۫
ثُمَّ اِلَيْنَا مَرْجِعُكُمْ فَنُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿۲۳﴾ اِنَّمَا مَثَلُ
الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا كَمَآءٍ اَنْزَلْنٰهُ مِنَ السَّمَآءِ فَاخْتَلَطَ بِهٖ نَبَاتُ
الْاَرْضِ مِمَّا يَاْكُلُ النَّاسُ وَالْاَنْعَامُ ؕ حَتّٰۤى اِذَاۤ اَخَذَتِ الْاَرْضُ

---

خوش اتی چھوہنگہ تہ منگہ نیران مخالف تیز ہوا **وَجَآءَهُمُ الْمَوْجُ مِنْ كُلِّ مَكَانٍ** توپتہ چھہ یوان تِمن ناوَن ہندین سوارَن دریاءک موج پریتھ طرفہ **وَظَنُّوْۤا اَنَّهُمْ اُحِيْطَ بِهِمْ** زانان چھہ تِم لوکھ کہِ اَسِ آیِ ولنہ مصیبتہ سیتِ **دَعَوُا اللّٰهَ مُخْلِصِيْنَ لَهُ الدِّيْنَ** تِمہِ ساتہِ چھہ ہیوان تِم منگہ منگ گرنِ خدایس یہِ زانتھ کہِ منگُن شُوبہِ تَس یُوت۔ بعاجزی چھہِ لگن دپنہ **لَئِنْ اَنْجَيْتَنَا مِنْ هٰذِهٖ لَنَكُوْنَنَّ مِنَ الشّٰكِرِيْنَ** یااللہ ہرگاہ ژہ اَسہِ یِمہِ بلایہِ نِش نجات دِکھ ضرور بنوَاَسِ شکر گذارو وحق شِناسو اَندرہ یعنی مُوحدّواندرہ **فَلَمَّاۤ اَنْجٰىهُمْ اِذَا هُمْ يَبْغُوْنَ فِي الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ** ادہ یلہِ اللہ تعالیٰ تِمن اَمہِ بلایہِ نِشہِ نجات چھُو دِوان، اتی چھہِ تِم زمینس منز بیہِ سرکشی ہیوان کرنِ ناحق یعنی بیہ چھہِ تِمے شرک و مُعصیتہ چہ کامہِ ہیوان کرنہِ۔ **يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ اِنَّمَا بَغْيُكُمْ عَلٰۤى اَنْفُسِكُمْ** اے لوکوارہ بُوزوکہ تُہنزہ سرکشی تہ نافرمانی ہُند ضرر چھُنہ مگر توہہ پننہ نین پانن پیٹھہ۔ **مَّتَاعَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا** بَس دنیاءچہِ زندگی ہُند تمتعاہ چھُوتُلان کنیزِن دوہَن۔ **ثُمَّ اِلَيْنَا مَرْجِعُكُمْ فَنُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ** توپتہ چھُو اسِ کُن توہہِ واتُن۔ پتہ خبر کروہ اسِ توہہِ تِمن سارنی تیچھہ عملَن ہنز یِم تُہہ کران آسوہ **اِنَّمَا مَثَلُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا كَمَآءٍ اَنْزَلْنٰهُ مِنَ السَّمَآءِ** بَس دُنیاچہِ زندگی ہنز مِثال چھَنہ مگر تِمہِ آبچ مِثال یُس اسِ تراوان چھہِ آسمانکہِ طرفہ **فَاخْتَلَطَ بِهٖ نَبَاتُ الْاَرْضِ** مِلناونہ چھہ یوان تتھ سیتِ تِم چیز یِم زمینہ منزہ کھسان چھہِ، غلات وغیرہ **مِمَّا يَاْكُلُ النَّاسُ وَالْاَنْعَامُ** تِموچیز واندرہ یِم اِنسان کھیوان چھُو بیہِ یِم چیز چارپا کھیوان چھہِ **حَتّٰۤى اِذَاۤ اَخَذَتِ الْاَرْضُ**

زُخْرُفَهَا وَازَّيَّنَتْ وَظَنَّ اَهْلُهَآ اَنَّهُمْ قٰدِرُوْنَ عَلَيْهَآ اَتٰىهَآ اَمْرُنَا لَيْلًا اَوْ نَهَارًا فَجَعَلْنٰهَا حَصِيْدًا كَاَنْ لَّمْ تَغْنَ بِالْاَمْسِ ؕ كَذٰلِكَ نُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ ﴿٢٤﴾ وَاللّٰهُ يَدْعُوْٓا اِلٰى دَارِ السَّلٰمِ ؕ وَيَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿٢٥﴾ لِلَّذِيْنَ اَحْسَنُوا الْحُسْنٰى وَزِيَادَةٌ ؕ وَلَا يَرْهَقُ وُجُوْهَهُمْ قَتَرٌ وَّلَا ذِلَّةٌ ؕ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ ۚ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٢٦﴾ وَالَّذِيْنَ كَسَبُوا

---

زُخْرُفَهَا تا اینکہ یلہِ زمین پورہ رتان چھوپنن رونق وَازَّيَّنَتْ بیہ سپُد زمین سر سبزی سیتِ مُزیّن وَظَنَّ اَهْلُهَآ اَنَّهُمْ قٰدِرُوْنَ عَلَيْهَآ خیال کور زمیندارو کہ پنز پاٹھِ اَسہِ چھووَن یہ زراعت امہِ زینگ پیداوار پنہ نِس اَتھس منز اَتٰىهَآ اَمْرُنَا لَيْلًا اَوْ نَهَارًا اتی چھوواتان تتھ سون حُکم رات گیت یا دوہلہِ فَجَعَلْنٰهَا حَصِيْدًا كَاَنْ لَّمْ تَغْنَ بِالْاَمْسِ پَس چھِن تراوان اسِ سُولُونتھ۔ زَن نہ او سمُتوی اوس کینہہ یوہ۔ یتھے پاٹھِ عالم بالاکہِ طرفہ رُوح یوان بدنِ انسانیس سیتِ رلِتھ، قوّت حاصل کُرِتھ، پُور طاقتورتہ ہُنر مند انسان بنان، امِس اِنسانہ سندِ تعلق دار چھِ امیدوار روزان امس نِشہ فائیدہ تُلنس پیٹھ۔ اتی چھونا گھانی موت یِوان تہ سُو اِنسان چھوہنگہ تہ منگہ مَران۔ امسندین متعلقن ہندِ ساری خیالات چھِ ڈُلان۔ زَن نہ یہ اِنسان پیدے سپُد مُت چھو آسان كَذٰلِكَ نُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ یتھے پاٹھِ چھِ اسِ پنن آیات ویژھہ ناوِتھ بیان کران تمن لُوکن ہندِ خیطرہ یِم فکر کرن۔ پَس سپُد ثابت کہ دُنیا چھو دارُ الزوال وَاللّٰهُ يَدْعُوْٓا اِلٰى دَارِ السَّلٰمِ اللہ تعالیٰ چھو نا دوان لُوکن دارالسلامَس کُن۔ سلامتی ہندِ س گرَس کُن (سُو گو جنّت) وَيَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ بیہ چھو وَتھ ہاوان یمن یژھان چھو راہِ راستس کُن لِلَّذِيْنَ اَحْسَنُوا الْحُسْنٰى وَزِيَادَةٌ تمن لُوکن ہندِ خیطرہ چھہ رژ مُزورِ، یعنی جنّت۔ یِم رژ عَمل گرَن بیہِ تمہِ خوتہ زیادہ (رژ مُزورِ گو جنّت، تمہِ خوتہ زیادہ گو دیدارِ خدا) وَلَا يَرْهَقُ وُجُوْهَهُمْ قَتَرٌ وَّلَا ذِلَّةٌ ولنہ بیہ نہ تھندین بُتھین سیاہی بیہ نہ رسوائی۔ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ ۚ هُمْ فِيْهَا

السَّيِّاٰتِ جَزَآءُ سَيِّئَةٍۭ بِمِثْلِهَا ۙ وَتَرْهَقُهُمْ ذِلَّةٌ ۭ مَا لَهُمْ مِّنَ اللّٰهِ
مِنْ عَاصِمٍ ۚ كَاَنَّمَآ اُغْشِيَتْ وُجُوْهُهُمْ قِطَعًا مِّنَ الَّيْلِ مُظْلِمًا ۭ
اُولٰۗىِٕكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ۚ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٢٧﴾ وَيَوْمَ نَحْشُرُهُمْ
جَمِيْعًا ثُمَّ نَقُوْلُ لِلَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا مَكَانَكُمْ اَنْتُمْ وَشُرَكَاۗؤُكُمْ ۚ
فَزَيَّلْنَا بَيْنَهُمْ وَقَالَ شُرَكَاۗؤُهُمْ مَّا كُنْتُمْ اِيَّانَا تَعْبُدُوْنَ ﴿٢٨﴾
فَكَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًۢا بَيْنَنَا وَبَيْنَكُمْ اِنْ كُنَّا عَنْ عِبَادَتِكُمْ
لَغٰفِلِيْنَ ﴿٢٩﴾ هُنَالِكَ تَبْلُوْا كُلُّ نَفْسٍ مَّآ اَسْلَفَتْ وَرُدُّوْٓا اِلَى اللّٰهِ

---

**خٰلِدُوْنَ** تِمے کیاگئے جنتکِ لوکھ تِمے آسن جنّتن منز ہمیشہِ **وَالَّذِيْنَ كَسَبُوا السَّيِّاٰتِ جَزَآءُ سَيِّئَةٍۭ بِمِثْلِهَا** بیہ یمو لوگو یچھہ کامہ کرہِ یعنی کُفر تہ شرک۔ تیچھ کامہِ ہنز مُزورِ تہ یچھہ ترٛھی تہ ترٛیٔ ایژ تہ یِرٛھ سئو بڈی آسہِ۔ **وَتَرْهَقُهُمْ ذِلَّةٌ** تِمہِ علاوہ ییہِ تِھندین بُتھین وَلنہ خواری ورسوائی **مَا لَهُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ عَاصِمٍ** آسہِ نہ تِمن خدایس نِشہِ کانہہ بچاوَن وولاہ **كَاَنَّمَآ اُغْشِيَتْ وُجُوْهُهُمْ قِطَعًا مِّنَ الَّيْلِ مُظْلِمًا** زَن تہندِ بُتھِ آسِ ولنہ آمتِ تاریک راژ ہنز وچھلو سیت **اُولٰۗىِٕكَ اَصْحٰبُ النَّارِ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ** تِمے کیاہ گئے نارِک لوکھ۔ تِمنی چھُو روزُن تتھ نارس اندر ہمشہ **وَيَوْمَ نَحْشُرُهُمْ جَمِيْعًا** سُو دوہ تہ چھُو قابلِ ذِکرِ یمہِ دوہہ اسِ ساری مخلوقات سونبروکھ میدانِ محشرس منز۔ قیامتُک دوہ اِکہ وَٹہ **ثُمَّ نَقُوْلُ لِلَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا مَكَانَكُمْ اَنْتُمْ وَشُرَكَاۗؤُكُمْ** توپتہ ونواس مُشرِکن۔ ای مُشرکو ٹھہرِو تُہہ بیہ تُہندِ شریک۔ پنہ نی جایہِ رُوزو **فَزَيَّلْنَا بَيْنَهُمْ** توپتہ تراوواس تِمن منز تفرقہ تہ دُور یِر۔ تمِ کرن پانہ وان اکھ اکس سیتِ مُقابلہ **وَقَالَ شُرَكَاۗؤُهُمْ مَّا كُنْتُمْ اِيَّانَا تَعْبُدُوْنَ** ونن تہندِ باطل معبود تُہہ آسِوہ نہ سانِ عِبادت کران **فَكَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًۢا بَيْنَنَا وَبَيْنَكُمْ اِنْ كُنَّا عَنْ عِبَادَتِكُمْ لَغٰفِلِيْنَ** پَس چھُو بس اللہ تعالیٰ گواہ آسنہ کِن اَسہِ منز تہ تُہہِ منز یتھ کتھہ پیٹھ کہِ اسِ آسِ تُہنزہ عبادتہ نِشہِ بالکل

مَوْلٰىهُمُ الْحَقِّ وَضَلَّ عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ ﴿٣٠﴾ قُلْ مَنْ يَّرْزُقُكُمْ مِّنَ السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ اَمَّنْ يَّمْلِكُ السَّمْعَ وَالْاَبْصَارَ وَمَنْ يُّخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ وَيُخْرِجُ الْمَيِّتَ مِنَ الْحَيِّ وَمَنْ يُّدَبِّرُ الْاَمْرَ ۭ فَسَيَقُوْلُوْنَ اللّٰهُ ۚ فَقُلْ اَفَلَا تَتَّقُوْنَ ﴿٣١﴾ فَذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبُّكُمُ الْحَقُّ ۚ فَمَاذَا بَعْدَ الْحَقِّ اِلَّا الضَّلٰلُ ۚ فَاَنّٰى تُصْرَفُوْنَ ﴿٣٢﴾ كَذٰلِكَ حَقَّتْ كَلِمَتُ رَبِّكَ عَلَى الَّذِيْنَ فَسَقُوْٓا اَنَّهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿٣٣﴾

---

امی وقتہ گرِہ امتحان پریتھ اکھاہ هُنَالِكَ تَبْلُوْا كُلُّ نَفْسٍ مَّآ اَسْلَفَتْ بے جان بے خبر کیازِہ اسِ آسِ تتھ سارِسی یہِ تمِ کورمُت آسہِ برونٹھ وَرُدُّوْٓا اِلَى اللّٰهِ مَوْلٰىهُمُ الْحَقِّ واتناونہ ینِ تمِ خدایہِ سندِس عدالتس کُن یُس تُہند حقیقی معبود چھُ وَضَلَّ عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ تمِ ساری باطِل معبود یِم تِمو ٹھہراوِمتِ آسِ، یِمَن ہنز تمِ پرستش کران آسِ گژھن تِمن نِشہِ غائب تہٕ ختم۔ تِموٚ اندرٕ ییہِ نہٕ تِمن کانہہ تہِ بکار قُلْ مَنْ يَّرْزُقُكُمْ مِّنَ السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ پرِ ژھوٚ تُہہ یا رسُول اللہ تِمن مُشرِکن کہِ سُو کُہہ چھُ یُس توہہِ رزق عطا کران چھُ آسمان وزمینکہِ طرفہ یعنی آسمانکہِ طرفہ بارِش تراوان زمینہ منزٕ غلہ کھاران یُس تُہند رزق بنان چھُ اَمَّنْ يَّمْلِكُ السَّمْعَ وَالْاَبْصَارَ بییہِ ونتو کُہہ چھُ مالِک تُہندِہ بوزنکہِ تہٕ وُچھنکہِ قوتک وَمَنْ يُّخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ وَيُخْرِجُ الْمَيِّتَ مِنَ الْحَيِّ بییہِ کُہہ چھُ زِندس کڈان مُردس نِشہِ، مُردس کڈان زِندس نِشہِ وَمَنْ يُّدَبِّرُ الْاَمْرَ بییہِ کُہہ چھُ سارنی کامین ہُند تدبیر کران۔ فَسَيَقُوْلُوْنَ اللّٰهُ یِمَن سارنی کتھن ونِن تمِ جواب کہ یِمہِ سارے کامہِ کرہ وُن چھُ اللہ تعالیٰ فَقُلْ اَفَلَا تَتَّقُوْنَ تُہہ فرماوِیُو کھ اوہ کونہ چھِوہ تُہہ تَس شریک اننہ نِشہِ پتھ روزان فَذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبُّكُمُ الْحَقُّ یِمسندِ یِم اوصاف و افعال چھِہ پَس یہوی چھُ معبودِ برحق تُہند حقیقی پروردگار فَمَاذَا بَعْدَ الْحَقِّ اِلَّا الضَّلٰلُ پزِہ کتھہ پتہ کیاہ چھُ باقی روزان گمراہی ورائی فَاَنّٰى تُصْرَفُوْنَ پَس پوز تراوِ تھ کیازِہ چھِوہ تُہہ اپزِس کُن گژھان كَذٰلِكَ حَقَّتْ كَلِمَتُ رَبِّكَ عَلَى الَّذِيْنَ فَسَقُوْٓا اَنَّهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ یتھے پاٹھِ سپز ثابت تُہندِس

قُلْ هَلْ مِنْ شُرَكَآئِكُمْ مَّنْ يَّبْدَؤُا الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ ؕ قُلِ اللّٰهُ يَبْدَؤُا الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ فَاَنّٰى تُؤْفَكُوْنَ ﴿۳۴﴾ قُلْ هَلْ مِنْ شُرَكَآئِكُمْ مَّنْ يَّهْدِيْۤ اِلَى الْحَقِّ ؕ قُلِ اللّٰهُ يَهْدِيْ لِلْحَقِّ ؕ اَفَمَنْ يَّهْدِيْۤ اِلَى الْحَقِّ اَحَقُّ اَنْ يُّتَّبَعَ اَمَّنْ لَّا يَهِدِّيْۤ اِلَّاۤ اَنْ يُّهْدٰى ۚ فَمَا لَكُمْ ۫ كَيْفَ تَحْكُمُوْنَ ﴿۳۵﴾ وَمَا يَتَّبِعُ اَكْثَرُهُمْ اِلَّا ظَنًّا ؕ اِنَّ الظَّنَّ لَا يُغْنِيْ مِنَ الْحَقِّ شَيْـًٔا ؕ اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌۢ بِمَا يَفْعَلُوْنَ ﴿۳۶﴾ وَمَا كَانَ هٰذَا

---

پروردگاره سزازلی تھ تمن نافرمانن پيٺه که تم انن نه زانهه ته ايمان قُلْ هَلْ مِنْ شُرَكَآئِكُمْ مَّنْ يَّبْدَؤُا الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ يه ته پرڇيو ته يارسول الله که اي مشرڪو ڪياه تهنديو تموا اپزيو معبودوا اندره ڇهاڪانهه تيس ڳوڙه مخلوقات پيده هيکه ڪري ته توپته ڏوباره بيه پيده هيکه ڪري ته۔ اته ڀورنه تمن جوابي کيهنه۔ قُلِ اللّٰهُ يَبْدَؤُا الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيْدُهٗ تهه فرماويو ته الله تعالیٰ ڇهو ڳوڙه پيده کران، سوي ڪره بيه ساري مخلوقاتن پيده۔ يه ڇهه تهنزي ڪام فَاَنّٰى تُؤْفَكُوْنَ اده ڪوڻ ڇهوه پنز معبودتراو ته اپزين معبودن ڳن ڳرڇهان قُلْ هَلْ مِنْ شُرَكَآئِكُمْ مَّنْ يَّهْدِيْۤ اِلَى الْحَقِّ اته پرڇهتوڪ تهه زه اي مشرڪو ڪياه تهنديو اپزيو معبودوا اندره ڇهاڪانهه تيس پنزس ڳن وته هاوته هيکه قُلِ اللّٰهُ يَهْدِيْ لِلْحَقِّ تهی فرمايو ته که الله تعالیٰ اي ڇهو پزس ڳن وته هاوان اَفَمَنْ يَّهْدِيْۤ اِلَى الْحَقِّ اَحَقُّ اَنْ يُّتَّبَعَ اَمَّنْ لَّا يَهِدِّيْۤ اِلَّاۤ اَنْ يُّهْدٰى ڪياه تيس معبود وته هاوه پزس ڳن سو ڇهازياده سزاوار پيروي ڪرنس ڪنه تيس نه پانه بي سنده وته هاونه وراي وته لبان ڇهو فَمَا لَكُمْ كَيْفَ تَحْكُمُوْنَ پس ڪياه ڳووه توهه يه ڪيته لغو فيصله ڇهوه ڪران توحيد تراو ته ڇهوه شرڪ اختيار ڪران تيس نه اتباعس قابل هيکه آسته سو هيکيا عبادتس قابل آسته وَمَا يَتَّبِعُ اَكْثَرُهُمْ اِلَّا ظَنًّا بيه ڇهنه اڪثر تموٗلوکو اندره پيروي ڪران مگر فاسد خيالاتن هنز اِنَّ الظَّنَّ لَا يُغْنِيْ مِنَ الْحَقِّ شَيْـًٔا پزپاٺه فاسد خيال ڇهونه ڪانهه فائيده دوان پنزس بروٺه ڪنه اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌۢ بِمَا يَفْعَلُوْنَ پزپاٺه الله تعالیٰ ڇهو پورزانان يه تم ڪران ڇهه۔ وقس پيٺه رٽه سو تمن پائے وَمَا كَانَ هٰذَا الْقُرْاٰنُ اَنْ يُّفْتَرٰى

الْقُرْاٰنُ اَنْ یُّفْتَرٰی مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَلٰكِنْ تَصْدِیْقَ الَّذِیْ بَیْنَ یَدَیْهِ وَتَفْصِیْلَ الْكِتٰبِ لَا رَیْبَ فِیْهِ مِنْ رَّبِّ الْعٰلَمِیْنَ ﴿۳۷﴾ اَمْ یَقُوْلُوْنَ افْتَرٰىهُ ؕ قُلْ فَاْتُوْا بِسُوْرَةٍ مِّثْلِهٖ وَادْعُوْا مَنِ اسْتَطَعْتُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ ﴿۳۸﴾ بَلْ كَذَّبُوْا بِمَا لَمْ یُحِیْطُوْا بِعِلْمِهٖ وَلَمَّا یَاْتِهِمْ تَاْوِیْلُهٗ ؕ كَذٰلِكَ كَذَّبَ الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَانْظُرْ كَیْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الظّٰلِمِیْنَ ﴿۳۹﴾

---

مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ یہِ قرآن مجید چھُو نہ ترٕتھ کتاباہ یُوسہ ٹھہراونہ آیہ پننہِ طرفہ خدایس ورای وَلٰكِنْ تَصْدِیْقَ الَّذِیْ بَیْنَ یَدَیْهِ بلکہ چھُو یہِ نازِل کرنہ آمُت تصدیق کرہ وُن تمن کتابَن یمہ اَمہِ برونٹھ چھہ نازِل کرنہ آمژہ وَتَفْصِیْلَ الْكِتٰبِ بیہِ چھُو یہِ تمنی کتابَن ہُند تفصیل تہ توضیح بیان کران لَا رَیْبَ فِیْهِ مِنْ رَّبِّ الْعٰلَمِیْنَ کانہہ شک چھُو نہ اَمہِ کُس کتابِ آسمانی آسنس اَندر یُوسہ چھُو نازِل آمُت کرنہ عالمین ہندِس پروردگارہ سندِہ طرفہ اَمْ یَقُوْلُوْنَ افْتَرٰىهُ بلکہ باوجود آں چھہِ یِم لُوکھ ونان یہِ قرآن مجید چھُو پننی طرفہ ٹھہروومُت حضرتِ محمّدن (نعوذُ باللہ) قُلْ فَاْتُوْا بِسُوْرَةٍ مِّثْلِهٖ تُہہ فرماوِیُو کھ کہِ تلہِ اَنِتو تُہہ اَتھ ہیُواکھ سُوراہ۔ تُہہ تہٕ عربی زبانہ ہندِ ماہر فصیح و بلیغ چھوِہ وَادْعُوْا مَنِ اسْتَطَعْتُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ بیہِ دِیتو ناد یِمَن تُہہ ہیکوِ تہ تمن پننہِ مددہ خیطرہ معبودِ برحقس ورای ہرگاہ تُہہ پوٚزونہ ونِ چھوِہ۔ یعنی ہرگاہ یہِ قرآن مجید میون تصنیف چھُو تُہہ تہِ اَنِتو اَتھِ ہیواکوی سُوراہ تصنیف کٔرِتھ بَلْ كَذَّبُوْا بِمَا لَمْ یُحِیْطُوْا بِعِلْمِهٖ بلکہِ چھہِ یِم اِنکار کران اَمِہ زانان تتھ چیزس یِچِ نہ تمن پُورہ وا قفیتھی چھ وَلَمَّا یَاْتِهِمْ تَاْوِیْلُهٗ ونہِ گٔتہ ژٔیہ تمن اَمِچ حقیقت كَذٰلِكَ كَذَّبَ الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ یِہندِی پاٹھِ کور تکذیب تمو لُوکو تہِ یِم تِمَن برونٹھ آسِ پننین پیغمبرن فَانْظُرْ كَیْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الظّٰلِمِیْنَ پٔس وُچھہ کیاہ اوس انجام تمن ظالمن ہُند تتھوی انجام آسہِ تِمَن ظالمن ہُندتہِ وَمِنْهُمْ مَّنْ یُّؤْمِنُ بِهٖ وَمِنْهُمْ مَّنْ لَّا یُؤْمِنُ بِهٖ بیہِ چھہِ تِمو اندرہ بعضی یِم آیندہ پٔرھ کرن اَتھ قرآنِ مجیدس،

وَمِنْهُمْ مَّنْ يُّؤْمِنُ بِهٖ وَمِنْهُمْ مَّنْ لَّا يُؤْمِنُ بِهٖ ؕ وَرَبُّكَ اَعْلَمُ بِالْمُفْسِدِيْنَ ﴿٤٠﴾ وَاِنْ كَذَّبُوْكَ فَقُلْ لِّيْ عَمَلِيْ وَلَكُمْ عَمَلُكُمْ ۚ اَنْتُمْ بَرِيْٓـُٔوْنَ مِمَّآ اَعْمَلُ وَاَنَا بَرِيْٓءٌ مِّمَّا تَعْمَلُوْنَ ﴿٤١﴾ وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّسْتَمِعُوْنَ اِلَيْكَ ؕ اَفَاَنْتَ تُسْمِعُ الصُّمَّ وَلَوْ كَانُوْا لَا يَعْقِلُوْنَ ﴿٤٢﴾ وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّنْظُرُ اِلَيْكَ ؕ اَفَاَنْتَ تَهْدِي الْعُمْيَ وَلَوْ كَانُوْا لَا يُبْصِرُوْنَ ﴿٤٣﴾ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَظْلِمُ النَّاسَ شَيْـًٔا وَّلٰكِنَّ النَّاسَ اَنْفُسَهُمْ يَظْلِمُوْنَ ﴿٤٤﴾ وَيَوْمَ يَحْشُرُهُمْ كَاَنْ لَّمْ يَلْبَثُوْٓا اِلَّا

---

بيه ڇهِ بعضي يم نه پڙهه کرن اَتهه **وَرَبُّكَ اَعْلَمُ بِالْمُفْسِدِيْنَ** تهند پروردگار ڇهُو پُور زانان مُفسدن وقتِ مقرّر ريلهِ واتهِ تمهِ ساته کرهِ الله تعالىٰ ضرور تمن عذابس گرفتار **وَاِنْ كَذَّبُوْكَ فَقُلْ لِّيْ عَمَلِيْ وَلَكُمْ عَمَلُكُمْ** وَتن هر گاه تمنِ دليلن هندهِ باوجود يم لوک توههِ انکار کرن، تهه فرماويو کهه مهِ ڇهه مزورِ پننهِ کامهِ هنز توهه ڇهوه مزورِ پننهِ کامهِ هنز۔ **اَنْتُمْ بَرِيْٓـُٔوْنَ مِمَّآ اَعْمَلُ وَاَنَا بَرِيْٓءٌ مِّمَّا تَعْمَلُوْنَ** تُهه ڇهوهِ بري ميانهِ کامه نشهِ، بُو ڇهُوس بري تُهنزِه کامهِ نشه **وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّسْتَمِعُوْنَ اِلَيْكَ** تُهه مه تهاوِو توقع تمِ کيا انن ايمان اگرچهِ تمو منزه ڇهه بعضي يم کن تهاوان ڇهِه يمهِ ساته تُهه قرآن مجيد پران ڇهوهِ۔ مگر تُهند بوزُن نه بوزُن ڇهُو برابري۔ کيازِه تمن ڇهُو نه ايما نک اراده لهذا ڇهه تهنز حالت زرين هنز هشِ **اَفَاَنْتَ تُسْمِعُ الصُّمَّ وَلَوْ كَانُوْا لَا يَعْقِلُوْنَ** کيا توهه هيکو کهِه زرِ بوزه ناوِ تهه بيهِ يلهِ نه تمن عقل تهِ آسهِ کيهنه **وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّنْظُرُ اِلَيْكَ** بيهِ ڇهِه تمو اندره بعضي يم توههِ مُعجزات وکمالا توسان وڇهان ڇهِه۔ مگر طلب حق نه آسنه مُوکه ڇهُو تُهند وڇهُن بے کار **اَفَاَنْتَ تَهْدِي الْعُمْيَ وَلَوْ كَانُوْا لَا يُبْصِرُوْنَ** کياه تُهه ڇهوهِ يڑهان انين وتهه هاوِن يلهِ نه تمن درنيٹهي يوان آسهِ کينهه۔ **اِنَّ اللّٰهَ لَا يَظْلِمُ النَّاسَ شَيْـًٔا وَّلٰكِنَّ النَّاسَ اَنْفُسَهُمْ يَظْلِمُوْنَ** پزِ پاٹهِ الله تعالىٰ ڇهُو نه کانسه ظُلم کران قابليّت عطا نه کرِ تهه مُواخذه تهِ گرفت

سَاعَةً مِّنَ النَّهَارِ يَتَعَارَفُونَ بَيْنَهُمْ قَدْ خَسِرَ الَّذِينَ كَذَّبُوا
بِلِقَاءِ اللَّهِ وَمَا كَانُوا مُهْتَدِينَ ﴿٤٥﴾ وَإِمَّا نُرِيَنَّكَ بَعْضَ الَّذِي
نَعِدُهُمْ أَوْ نَتَوَفَّيَنَّكَ فَإِلَيْنَا مَرْجِعُهُمْ ثُمَّ اللَّهُ شَهِيدٌ عَلَىٰ مَا
يَفْعَلُونَ ﴿٤٦﴾ وَلِكُلِّ أُمَّةٍ رَّسُولٌ فَإِذَا جَاءَ رَسُولُهُمْ قُضِيَ بَيْنَهُم
بِالْقِسْطِ وَهُمْ لَا يُظْلَمُونَ ﴿٤٧﴾ وَيَقُولُونَ مَتَىٰ هَٰذَا الْوَعْدُ إِن

---

کران۔ لیکن لوکھ چھِ ظُلم کران پانِ پانَس عطا کرنہ آمژ قابلیّت ضایع کرنہ سیتِ **وَيَوْمَ يَحْشُرُهُمْ كَأَن لَّمْ يَلْبَثُوا إِلَّا سَاعَةً مِّنَ النَّهَارِ** تِمن پاوِ سُودوہ ژتیس یمہِ دوہہ اللہ تعالیٰ تِمن ساری یتھ پاٹھِ سونبراوِہ کہِ تمِ کرن خیال زَن تمِ رُودِمتِ آسَن دُنیاءَس منز یا قبرن منز ساروی دوہہ منزہ اکس گرِہ۔ **يَتَعَارَفُونَ بَيْنَهُمْ** لُوکھ آسَن اکھ اکس پرزہ ناوان لیکن اکھ اکس ہیکن نہ کانہہ مدد کٔرِتھ۔ ساری آسَن پننِہ پننِہ پریشانی گرفتار **قَدْ خَسِرَ الَّذِينَ كَذَّبُوا بِلِقَاءِ اللَّهِ وَمَا كَانُوا مُهْتَدِينَ** بتحقیق تاوان تہ نقصان آسہِ تمہِ دوہہ تِمن لُوکن یمو اپزِ زون خدایس سیتِ ملاقات کرُن بیہ آسِ نہ تمِ دنیاءَس منز ہدایت لبہ وَنِ۔ **وَإِمَّا نُرِيَنَّكَ بَعْضَ الَّذِي نَعِدُهُمْ** بیہ ہرگاہ توہہِ ضرور ہاووہ اَسِ تمو عذابو اندرہ بعضی عذاب تِمنِ ہُند وعدہ اَسِ تِمنِ کران چھِ **أَوْ نَتَوَفَّيَنَّكَ** یا ہرگاہ اسِ سُو عذاب نازِل کرنہ برونٹھی تُہہ تمہِ عالمہ نِموِہ، توتہ کیاہ گو **فَإِلَيْنَا مَرْجِعُهُمْ** آخِر کار چھُو تِمن واتُن اَسی نِشہِ **ثُمَّ اللَّهُ شَهِيدٌ عَلَىٰ مَا يَفْعَلُونَ** تو پتہ چھُو اللہ تعالیٰ ای شاہد تتھ سارسی پیٹھ یہِ تمِ کران چھِ۔ سُودیہِ تِمن پائے سزا۔ دُنیاءَس منز تِمن سزا ایتَن دِنہ یا مَتہ ایتَن دِنہ مگر آخِرتَس منز ایِچھ ضرور پنہِ نِس مُوقعس پیٹھ سزا دِنہ **وَلِكُلِّ أُمَّةٍ رَّسُولٌ** بیہِ چھُو پرِیتھ اُمتہ خیطرہ احکام واتناونہ خیطرہ اکھ پیغمبر اہ **فَإِذَا جَاءَ رَسُولُهُمْ** اَدہ یلہِ تُہند پیغمبر تِمن نِشہِ آوَ تہ پیغام واتنوِون تِمن **قُضِيَ بَيْنَهُم بِالْقِسْطِ** فیصلہ چھُو تِمن منز کرنہ ایوانِ عدل وانصافہ موجُب **وَهُمْ لَا يُظْلَمُونَ** بیہ یِیہِ نہ تِمن لُوکن کُنہِ قسمہِ ظُلم کرنہ۔ کیازِہ اتمامِ حُجتہ پتہ سزاء دیُون ظُلم گونہ **وَيَقُولُونَ مَتَىٰ هَٰذَا الْوَعْدُ إِن كُنتُمْ صَادِقِينَ** بیہِ چھِ دپان لُوکھ عذابک وعید بُوزِتِ تتھ اِنکار کرنہ خیطرہ کہ ای

كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿٤٨﴾ قُلْ لَّآ اَمْلِكُ لِنَفْسِيْ ضَرًّا وَّلَا نَفْعًا اِلَّا مَا شَآءَ
اللّٰهُ ۭ لِكُلِّ اُمَّةٍ اَجَلٌ ۭ اِذَا جَاۗءَ اَجَلُهُمْ فَلَا يَسْتَاْخِرُوْنَ سَاعَةً
وَّلَا يَسْتَقْدِمُوْنَ ﴿٤٩﴾ قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ اَتٰىكُمْ عَذَابُهٗ بَيَاتًا اَوْ نَهَارًا
مَّاذَا يَسْتَعْجِلُ مِنْهُ الْمُجْرِمُوْنَ ﴿٥٠﴾ اَثُمَّ اِذَا مَا وَقَعَ اٰمَنْتُمْ بِهٖ ۭ
اٰۗلْـٰٔنَ وَقَدْ كُنْتُمْ بِهٖ تَسْتَعْجِلُوْنَ ﴿٥١﴾ ثُمَّ قِيْلَ لِلَّذِيْنَ ظَلَمُوْا
ذُوْقُوْا عَذَابَ الْخُلْدِ ۚ هَلْ تُجْزَوْنَ اِلَّا بِمَا كُنْتُمْ تَكْسِبُوْنَ ﴿٥٢﴾

---

پيغمبر کر سِپدہ واقع يہِ وعدہٴ عذاب۔ ہرگاہ تُھہ پُوزونان ڇھوِ تلہ کونہ ڇھو عذاب واقع سِپدان قُلْ لَّآ اَمْلِكُ
لِنَفْسِيْ ضَرًّا وَّلَا نَفْعًا اِلَّا مَا شَآءَ اللّٰهُ تُھہ فرماوِیُو کھ جواب یار سُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلّم، بُو ڇھُوس نہ خود
پننِہ پانہ خیطرہ تہِ اختیار تھاوان، نہ کُنہِ نفعُک نہ کُنہِ ضرُرک مگر تِتھُوی اختیار یُوت اللہ تعالیٰ اَس مظُور
آسہ۔ پَس کتھہ پاٹھِ ہیکہ بُو توہہِ عذاب انتھ یا وعدہٴ عذاب تھاوِتھ لِكُلِّ اُمَّةٍ اَجَلٌ پریتھ اُمتہِ عذابہ
خیطرہ تہ تباہی خیطرہ ڇھُو اللہ تعالیٰ اَس نشہِ اکھ وقتاہ مقرّر دُنیاہ س اَندر یا آخر تَس اندر اِذَا جَاۗءَ اَجَلُهُمْ
فَلَا يَسْتَاْخِرُوْنَ سَاعَةً وَّلَا يَسْتَقْدِمُوْنَ يلہِ سُو مقرّر کرنہ آمُت وقت تھہند واتہِ پَس ہیکن نہ تمہِ نہ پتھ
گژھتھ اکس ساتَس نہ برونٹھ یتھ قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ اَتٰىكُمْ عَذَابُهٗ بَيَاتًا اَوْ نَهَارًا مَّاذَا يَسْتَعْجِلُ مِنْهُ الْمُجْرِمُوْنَ
تُھہ فرماوِیُو کھ تلامہِ وَنتو ہرگاہ توہہ خدایہ سُنْد عذاب واتہِ رات کُیت یا دوہلہِ تمہِ منزہ کُھہ چیز ڇھُو سُو یتھ
جلد ڇھہِ ژھانڈان نافرمان از ڇھوِہ اِنکار کران تتھ۔ حالانکہِ یہِ اوس اقرار ک تہ تصدیقُک وقت اَثُمَّ اِذَا
مَا وَقَعَ اٰمَنْتُمْ بِهٖ کیاہ یلہِ سُو عذاب واقع سِپدہ ادہ انوہ تُھہ تمہِ ساتہ ایمان۔ تتھ ایمان انہ نَس فائیدہ ڇھو
نہ کینہہ اٰۗلْـٰٔنَ وَقَدْ كُنْتُمْ بِهٖ تَسْتَعْجِلُوْنَ (وننہ اِیہ توہہ تمہِ ساتہ) ای مُنکرِ ووَنِ کُرِ وناپڑھ تُھہ مگر بے
سُود۔ حالانکہِ یہِ گو سُوی عذاب یُس تُھہ جلد ژھانڈان آسِوہ ٹھٹھہ پاٹھِ ثُمَّ قِيْلَ لِلَّذِيْنَ ظَلَمُوْا توپتہ
اِیہِ وننہ تمِن لُوکن یمو ظُلم کور یعنی مُشرکن ذُوْقُوْا عَذَابَ الْخُلْدِ ژھِوہ مزہ ہمیشگی ہندِہ عذابُک هَلْ
تُجْزَوْنَ اِلَّا بِمَا كُنْتُمْ تَكْسِبُوْنَ توہہِ ڇھُنہ سزا دِنہ یِوان، مگر تمنی کامین ہندُ یمہِ تُھہ کران آسِوہ

وَيَسْتَنْبِئُونَكَ أَحَقٌّ هُوَ ۖ قُلْ إِي وَرَبِّي إِنَّهُ لَحَقٌّ ۖ وَمَا أَنْتُمْ بِمُعْجِزِينَ ﴿٥٣﴾ وَلَوْ أَنَّ لِكُلِّ نَفْسٍ ظَلَمَتْ مَا فِي الْأَرْضِ لَافْتَدَتْ بِهِ ۗ وَأَسَرُّوا النَّدَامَةَ لَمَّا رَأَوُا الْعَذَابَ ۖ وَقُضِيَ بَيْنَهُمْ بِالْقِسْطِ ۚ وَهُمْ لَا يُظْلَمُونَ ﴿٥٤﴾ أَلَا إِنَّ لِلَّهِ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ ۗ أَلَا إِنَّ وَعْدَ اللَّهِ حَقٌّ وَلَٰكِنَّ أَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُونَ ﴿٥٥﴾ هُوَ يُحْيِي وَيُمِيتُ وَإِلَيْهِ تُرْجَعُونَ ﴿٥٦﴾ يَا أَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَاءَتْكُمْ مَوْعِظَةٌ مِنْ رَبِّكُمْ وَشِفَاءٌ لِمَا فِي الصُّدُورِ

---

وَيَسْتَنْبِئُونَكَ أَحَقٌّ هُوَ هيءُ ڇهه تم توهه نشهِ دريافت ڪران ٿا پر ٿهان ٽسنه پاڻهِ ٿو ٿهه پاڻهِ ڪياه عذاب ڇهاپو زوى قُلْ إِي وَرَبِّي إِنَّهُ لَحَقٌّ ٿهه فرماويو ڪه اوه مه ڇهو پنه نس پروردگاره سند قسم يه ئي پوز ڇهو وَمَا أَنْتُمْ بِمُعْجِزِينَ ٿهه هيڪيون نه الله تعالىٰ عاجز ڪرت ٿنه صور تس اندر. سو ڇهو قادرِ مطلق. تس هيڪه نه ڪانه اکهاه عاجز ڪرِ ته وَلَوْ أَنَّ لِكُلِّ نَفْسٍ ظَلَمَتْ مَا فِي الْأَرْضِ لَافْتَدَتْ بِهِ سو عذاب آسهِ تيوت سخت ڪه هرگاه آسهے پريته گنهگار شخص تيوت مال، يمه سيتِ سورُوى رُوِى زمين پر سپده هے، سو تيوت مال ته ديه هے پٽن پان بچاونه خيطره تمه ڍهڪهِ عذابه نشهِ وَأَسَرُّوا النَّدَامَةَ لَمَّا رَأَوُا الْعَذَابَ هيءِ ٿاوَن تمِ گنهگار ندامت ته خجالت پوشيده، يلهِ وڇهن سو عذاب ٽيٽهه ٿاونه خيطره عذابه نشهِ. وَقُضِيَ بَيْنَهُمْ بِالْقِسْطِ وَهُمْ لَا يُظْلَمُونَ بيهِ ايهِ فيصله ٿهند عدل وانصافه موجب ڪرنه. تمن ايه نه ظلم ڪرنه. يه ودُمت آسيڪه تي لونَن أَلَا إِنَّ لِلَّهِ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ واره بوزواى لوڪو، يه آسمانن ته زمينن منز ڇهوته سورُوى ڇهو ملڪ معبودِ برحقه سند. تهِ منز آيِ يمِ مجرم أَلَا إِنَّ وَعْدَ اللَّهِ حَقٌّ واره بوزهِ خدايه سند وعده ڇهو حق ته پوز. پس قيامت ايهِ ضرور وَلَٰكِنَّ أَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُونَ ليڪن اڪثر لوڪ ڇهنه زانان ته يقين ڪران هُوَ يُحْيِي وَيُمِيتُ وَإِلَيْهِ تُرْجَعُونَ سوى ڇهو زنده ڪران سوى ڇهو ماران پس ڪياه مشڪل ڇهو تس نشهِ دوباره پيده ڪرن. بيه ايو ٿهه سارى تس ٿن واتناونه تو پته هيه سو سارني حساب يَا أَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَاءَتْكُمْ مَوْعِظَةٌ مِنْ رَبِّكُمْ وَشِفَاءٌ لِمَا فِي الصُّدُورِ اى لوڪو تحقيق آو توهه ٿن ٿهندس پروردگاره سنده طرفه سو چيز يُس

وَهُدًى وَّرَحْمَةٌ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٥٧﴾ قُلْ بِفَضْلِ اللّٰهِ وَبِرَحْمَتِهٖ فَبِذٰلِكَ فَلْيَفْرَحُوْا ؕ هُوَ خَيْرٌ مِّمَّا يَجْمَعُوْنَ ﴿٥٨﴾ قُلْ اَرَءَيْتُمْ مَّآ اَنْزَلَ اللّٰهُ لَكُمْ مِّنْ رِّزْقٍ فَجَعَلْتُمْ مِّنْهُ حَرَامًا وَّحَلٰلًا ؕ قُلْ آٰللّٰهُ اَذِنَ لَكُمْ اَمْ عَلَى اللّٰهِ تَفْتَرُوْنَ ﴿٥٩﴾ وَمَا ظَنُّ الَّذِيْنَ يَفْتَرُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَذُوْ فَضْلٍ عَلَى النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَشْكُرُوْنَ ﴿٦٠﴾ ع وَمَا تَكُوْنُ فِيْ شَاْنٍ وَّمَا تَتْلُوْا مِنْهُ مِنْ

---

تِيھہ کا ميونِشہِ پتھ رٽنہ خيطرہ ٻُوڈُو وعظ تہ نصيحت چھُو، يُس شخص تمہ وعظہ سيت تِيھِ کاميونِشہِ پتھ رُوز تھندِہ خيطرہ چھُو بوڈ شِفا۔ تِمن سارنٔي مرضن ہندِہ خيطرہ يِم دِلن منز چھِہ گنھو سيتِ پيدہ سپدان وَهُدًى وَّرَحْمَةٌ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ يِہ چھُو سُو ٻُوڈ ہدايت رژہ کامہِ کرنہ خيطرہ۔ يِہ بڈ رحمت باايمانَن ہندِہ خيطرہ (سوگو قرآنِ مجيد) قُلْ بِفَضْلِ اللّٰهِ وَبِرَحْمَتِهٖ فَبِذٰلِكَ فَلْيَفْرَحُوْا فرماوِيُو کھ تُھہ قرآن مجيديلہِ يِتھ بابرکت چيز چھُو لہذا اشوُبہ لُوکن خدليہِ سندِہ فضل ورحمتہ سيتِ خوش سپدُن۔ يِہ قرآنِ مجيد گرٹھہِ زانِنِ بڈ دولت هُوَ خَيْرٌ مِّمَّا يَجْمَعُوْنَ يِہ قرآنِ مجيد چھُو بدرجا بہتر تمہِ خوتہ يِہ يِم سونبران چھِہ مالِ دنيا اندرہ۔ کيازِہ دُنياءُک نفع چھُو کم تہ فانی۔ قرآنِ مجيدُک نفع تہ فائيدہ چھُو سيٹھاہ تہ پُوشہِ وُن قُلْ اَرَءَيْتُمْ مَّآ اَنْزَلَ اللّٰهُ لَكُمْ مِّنْ رِّزْقٍ فَجَعَلْتُمْ مِّنْهُ حَرَامًا وَّحَلٰلًا فرماوِيُو کھ تُھہ تلاوِنتو، خدايَن يُس رزق نازِل کور تھندِہ نفعہ خيطرہ تُھہ کُرِ وہ پانٔے بے دليل تمہِ منزہ اڈِ چيز حرام تہ اڈِ چيز حلال قُلْ آٰللّٰهُ اَذِنَ لَكُمْ اَمْ عَلَى اللّٰهِ تَفْتَرُوْنَ تُھہ پرژھتو کھ کياہ خدايَن دِيُتہ توہہِ اميُک اجازَت۔ کنہِ بلِ چھُوہ خدايس پيٹھ اپز نوور اوان وَمَا ظَنُّ الَّذِيْنَ يَفْتَرُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ يِہ کياہ خيال چھُو تِمن لُوکن يِم خدايس پيٹھ اپز نوور اوان چھِہ قيامتک دوہ (تِم چھا زانان کہ تِمن يِيہِ نہ تميُک پرژھنے کينہہ تمہِ دوہہ) اِنَّ اللّٰهَ لَذُوْ فَضْلٍ عَلَى النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَشْكُرُوْنَ پزِ پاٹھِ اللّٰہ تعالیٰ چھُو لُوکن پيٹھ فضل کران۔ گنہ تہ نافرمانی کرتھے چھُو کھ نہ گرفتارِ عذاب کران۔ بلکہِ چھُو کھ مُہلت دِوان ديوہ توبہ کرن، معافی منگن۔ مگر

قُرْاٰنٍ وَّلَا تَعْمَلُوْنَ مِنْ عَمَلٍ اِلَّا كُنَّا عَلَيْكُمْ شُهُوْدًا اِذْ تُفِيْضُوْنَ فِيْهِ ؕ وَمَا يَعْزُبُ عَنْ رَّبِّكَ مِنْ مِّثْقَالِ ذَرَّةٍ فِي الْاَرْضِ وَلَا فِي السَّمَآءِ وَلَآ اَصْغَرَ مِنْ ذٰلِكَ وَلَآ اَكْبَرَ اِلَّا فِيْ كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ ﴿٦١﴾ اَلَآ اِنَّ اَوْلِيَآءَ اللّٰهِ لَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ ﴿٦٢﴾ اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا يَتَّقُوْنَ ﴿٦٣﴾ لَهُمُ الْبُشْرٰى فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَفِي الْاٰخِرَةِ ؕ لَا تَبْدِيْلَ لِكَلِمٰتِ اللّٰهِ ؕ ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ ﴿٦٤﴾ وَلَا يَحْزُنْكَ قَوْلُهُمْ ۘ اِنَّ الْعِزَّةَ لِلّٰهِ

---

اکثر لوک ڇھنہ شکرگذاری کران۔ امہ مہلتک نفع تہ فائیدہ تلان **وَمَا تَكُوْنُ فِيْ شَاْنٍ وَّمَا تَتْلُوْا مِنْهُ مِنْ قُرْاٰنٍ** بیہ آستو تھہ حالوا اندرہ تُنہ حالس اندر، تمو حالوا اندرہ گو تھند قرآنِ مجید پرن **وَّلَا تَعْمَلُوْنَ مِنْ عَمَلٍ** بیہ تھہ ساری لوکھ ڇھوہ نہ کانہہ کاماہ کران **اِلَّا كُنَّا عَلَيْكُمْ شُهُوْدًا** مگر اَسِ ڇھوہ آسان توہہ نشہ حاضرِ۔ اَسہ ڇھہ خبر سپدان تھندن سارنی حالاتن ہنز **اِذْ تُفِيْضُوْنَ فِيْهِ** یمہ ساتہ پیٹھ تھہ سو کام کرنِ ہیوان ڇھوہ **وَمَا يَعْزُبُ عَنْ رَّبِّكَ مِنْ مِّثْقَالِ ذَرَّةٍ فِي الْاَرْضِ وَلَا فِي السَّمَآءِ** کھٹِت ڇھنہ روزان تھندِس پروردگارس نشہِ اکس ذرّس برابر کانہہ چیز اہ نہ آسمانن اندر تہ نہ زمین اندر **وَلَآ اَصْغَرَ مِنْ ذٰلِكَ وَلَآ اَكْبَرَ** بیہ ڇھونہ امہ ذرہ خوتہ لوکُٹ نہ تمہِ خوتہ بوڈ **اِلَّا فِيْ كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ** مگر یُس نہ درج ڇھو روشن تہ واضح کتابہ اندر (سُو گو لوحِ محفوظ) امہِ قسمہ ڇھو خدایہ سُند احاطہ علمی موجوداتن ہندہ حقہ **اَلَآ اِنَّ اَوْلِيَآءَ اللّٰهِ لَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ** وارہ بُوزِو خدایہ سندِ دوست تمِ ڇھہ، تمن نہ ڇھو کانہہ خوف نہ سپدن تمِ گُنہِ قسمہ غمگین **اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا يَتَّقُوْنَ** تمِ گئے تمے تمو ایمان اون خدایس بیہ رُودِ تَس کھوژان **لَهُمُ الْبُشْرٰى فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَفِي الْاٰخِرَةِ** تھندی خیطرہ ڇھہ دُنیاچہِ زندگی منز تہ آخرتس منز بڈ بشارت تہ خوشخبری کامیابی ہنز **لَا تَبْدِيْلَ لِكَلِمٰتِ اللّٰهِ** تغیر و تبدیل ڇھونہ

جَمِيْعًا ؕ هُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ﴿٦٥﴾ اَلَآ اِنَّ لِلّٰهِ مَنْ فِى السَّمٰوٰتِ وَمَنْ فِى الْاَرْضِ ؕ وَمَا يَتَّبِعُ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ شُرَكَآءَ ؕ اِنْ يَّتَّبِعُوْنَ اِلَّا الظَّنَّ وَاِنْ هُمْ اِلَّا يَخْرُصُوْنَ ﴿٦٦﴾ هُوَ الَّذِىْ جَعَلَ لَكُمُ الَّيْلَ لِتَسْكُنُوْا فِيْهِ وَالنَّهَارَ مُبْصِرًا ؕ اِنَّ فِىْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّسْمَعُوْنَ ﴿٦٧﴾ قَالُوا اتَّخَذَ اللّٰهُ وَلَدًا سُبْحٰنَهٗ ؕ هُوَ الْغَنِىُّ ؕ

---

خدایہِ سنزن کتھن یعنی وعدن۔ تمسند وعدہ چھُو پختہ تہ پوز وعدہ ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ یہے گیہِ بڈ رستگاری تہ کامیابی وَلَا يَحْزُنْكَ قَوْلُهُمْ بیہِ مہ کرِن توہہِ غمگین تہ آزردہ دُشمن ہنزہ بیہودہ کتھہ اِنَّ الْعِزَّةَ لِلّٰهِ جَمِيْعًا پئز پاٹھِ عزّت، بیہ قدرت تہ غلبہ چھُو سورُوی خدایس۔ سُو کرِ توہہ پننہِ وعدہ مُوجب پُور حفاظت تہ راچھہِ۔ دُشمن ہیکن نہ توہہِ پیٹھ غلبہ لبتھ هُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ سُو چھُو سورُوی بوزوُن سارِ چی خبر تھاوہوُن اَلَآ اِنَّ لِلّٰهِ مَنْ فِى السَّمٰوٰتِ وَمَنْ فِى الْاَرْضِ وارہ بوزِو تِم مخلُوق آسمانن تہ زمین منز چھہ۔ ملایک جن تہ اِنسان تِم ساری چھہِ خدایہِ سندی مِلک تِمن اتھِ کینہہ چھُونہ وَمَا يَتَّبِعُ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ شُرَكَآءَ کمِ سنا پیروی کران چھہِ تِم لُوکھ یِم لُوک اللہ تعالیٰ اَس ورائی بین معبُودن ہنز عبادت چھہِ کران۔ خدایس چھہ خبر کمِچ پیروی چھہِ تِم کران۔ تِمن نشہِ کیاہ سنا دلیل چھہ لمہِ اعتقادچ اِنْ يَّتَّبِعُوْنَ اِلَّا الظَّنَّ وَاِنْ هُمْ اِلَّا يَخْرُصُوْنَ تِم چھنہِ پیروی کران مگر بے سَنَد خیالن تہ اوہامن ہنز بیہِ چھنہ تِم مگر اندازہ تہ قیاساہ لگاوان۔ حقیقتھاہ چھنہ تِمِچ کینہہ هُوَ الَّذِىْ جَعَلَ لَكُمُ الَّيْلَ لِتَسْكُنُوْا فِيْهِ وَالنَّهَارَ مُبْصِرًا سُو پروردگار گو سُوی تِم رات کرِ پیدہ یتھ تُہہ تتھ منز آرام کرِو بیہ تِم دوہ کر پیدہ یتھ تتھ منز وچھت کرِ تھ پننِ ضروریات پُورہ کرِو۔ اِنَّ فِىْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّسْمَعُوْنَ پئز پاٹھِ شب وروز پیدہ کرنس اندر چھہِ قدرتک بڈِ بڈِ نشانہ توحید چہ بجہِ بجہِ دلیلہ تِمن لُوکن ہندہِ خیطرہ یِم دلایل قدرت وارہ بُوزان آسن۔ مُشرک چھنہِ تِمن دلیلن اندر غور

لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ؕ اِنْ عِنْدَكُمْ مِّنْ سُلْطٰنٍۭ بِهٰذَا ؕ اَتَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿٦٨﴾ قُلْ اِنَّ الَّذِيْنَ يَفْتَرُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ لَا يُفْلِحُوْنَ ﴿٦٩﴾ؕ مَتَاعٌ فِي الدُّنْيَا ثُمَّ اِلَيْنَا مَرْجِعُهُمْ ثُمَّ نُذِيْقُهُمُ الْعَذَابَ الشَّدِيْدَ بِمَا كَانُوْا يَكْفُرُوْنَ ﴿٧٠﴾ع وَاتْلُ عَلَيْهِمْ نَبَاَ نُوْحٍ ۘ اِذْ قَالَ لِقَوْمِهٖ يٰقَوْمِ اِنْ كَانَ كَبُرَ عَلَيْكُمْ مَّقَامِيْ وَتَذْكِيْرِيْ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ فَعَلَى اللّٰهِ تَوَكَّلْتُ فَاَجْمِعُوْٓا

---

كران تم ڇهہِ شر كہ ڇ ٿهہ كران قَالُوا اتَّخَذَ اللّٰهُ وَلَدًا سُبْحٰنَهٗ چنانچہ مُشرِك ڇهہِ وتان الله تعالىٰ اَس ڇهہِ اولاد۔ حالانكہِ مُنزّه تہ پاك ڇهو سُو اولاد ؤ نشہِ هُوَ الْغَنِيُّ سُو ڇهو بے نياز كانسہِ كُن ڇهو نہ محتاج سارى ڇهہِ تَس كُن محتاج لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ يہ آسمانن تہ زمينن اندر ڇهو تہ سو رُوى ڇهو توهندُوى اِنْ عِنْدَكُمْ مِّنْ سُلْطٰنٍۭ بِهٰذَا ڇهنہ توهہِ نشہِ كانہہ دليلاہ اتھ پيٹھ اَتَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ كياه تُهہ ڇهوہِ خدايس نسبت تى وتان ئيچ نہ توهہِ كانہہ خبراہ ڇهہ قُلْ اِنَّ الَّذِيْنَ يَفْتَرُوْنَ عَلَى اللّٰهِ الْكَذِبَ لَا يُفْلِحُوْنَ تُهہ فرماوُيو كھ كہِ بتحقيق تِم لُوكھ خدايس پيٹھ اپزُ نوور اوان ڇهہِ تِم سپدَن نہ زانهہ كامياب مَتَاعٌ فِي الدُّنْيَا ثُمَّ اِلَيْنَا مَرْجِعُهُمْ دنياءس اندر ڇهو تِمَن كيهنہ كالاہ تمتّع تہ فايده تلُن تو پتہ ڇهو مرِ تھ اسى كُن تِمن واتُن ثُمَّ نُذِيْقُهُمُ الْعَذَابَ الشَّدِيْدَ تو پتہ ژهناوو كھ اسِ تم سخت عذابك مزه بِمَا كَانُوْا يَكْفُرُوْنَ تِهنده كُفر كرنہ سببہ وَاتْلُ عَلَيْهِمْ نَبَاَ نُوْحٍ بيہِ پرِ وتُهہ يارسُول الله تِمن پيٹھ قصہِ حضرتِ نُوح اِذْ قَالَ لِقَوْمِهٖ يٰقَوْمِ يلہِ تِمو دُوپ پنہ نِس قومس اى ميانہِ قومہ اِنْ كَانَ كَبُرَ عَلَيْكُمْ مَّقَامِيْ وَتَذْكِيْرِيْ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ هرگاه گو بيوه تہ ناگوار سپُدوه توهہِ پيٹھ ميون توهہِ منز روزُن بيہِ ميون وعظ پرن خدايہِ سنديو آيا توسيتہِ، سپدِ تَن ناگوار توهہِ۔ بُو ڇهوس نہ

أَمْرَكُمْ وَشُرَكَاءَكُمْ ثُمَّ لَا يَكُنْ أَمْرُكُمْ عَلَيْكُمْ غُمَّةً ثُمَّ اقْضُوا إِلَيَّ وَلَا تُنظِرُونِ ﴿٧١﴾ فَإِن تَوَلَّيْتُمْ فَمَا سَأَلْتُكُم مِّنْ أَجْرٍ إِنْ أَجْرِيَ إِلَّا عَلَى اللَّهِ وَأُمِرْتُ أَنْ أَكُونَ مِنَ الْمُسْلِمِينَ ﴿٧٢﴾ فَكَذَّبُوهُ فَنَجَّيْنَاهُ وَمَن مَّعَهُ فِي الْفُلْكِ وَجَعَلْنَاهُمْ خَلَائِفَ وَأَغْرَقْنَا الَّذِينَ كَذَّبُوا بِآيَاتِنَا فَانظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُنذَرِينَ ﴿٧٣﴾

---

تمیُک پرواکران کیازِہ فَعَلَى اللَّهِ تَوَكَّلْتُ مہِ چھُو خدایِہ سی پیٹھ اعتماد تہ ڈوکھ کورمُت فَأَجْمِعُوا أَمْرَكُمْ وَشُرَكَاءَكُمْ میہ ضرر واتناونہ خیطرہ کٔرِو تُہہ پوختہ پنُنِ کوم۔ معبودانِ باطِل (یِم تُہہ خدایِہ سِند شریک چھوک زانان) تم رٹیٚو کھ پانَس سیتِ ثُمَّ لَا يَكُنْ أَمْرُكُمْ عَلَيْكُمْ غُمَّةً توٚ پتہِ مہ آسِن سُہ کام یُس تُہہِ مہِ نسبت کرنِ چھِہ تُہہِ اندرہ کانسہ پیٹھ پوٗشیدہ۔ یعنی تُنِ پاٹھِ کٔرِیو یہِ تُہہِ کرُن چھُو ثُمَّ اقْضُوا إِلَيَّ وَلَا تُنظِرُونِ توٚ پتہ یہِ تُہہِ مہِ نسبت کرُن چھُو تہِ کٔرِو تاَر کرنہ ورای بُو چھُو سنہ تُہہِ کُنہ قسمہِ کھوژان۔ نہ تراوہ بُو تُہندِہ بیمہ وعظ پرن تہ تبلیغ کرُن فَإِن تَوَلَّيْتُمْ ہرگاہ تُہہ توتہِ رُوزِو بُو تھُوی پھِران تمیُک وجہ کیا چھُو فَمَا سَأَلْتُكُم مِّنْ أَجْرٍ مہِ منٛج نہ تُہہِ اَتھ وعظ و نصیحت کرنَس پیٹھ کانہہ مُزورِیاہ تہ عوضاہ۔ بُو کیازِہ منگہ ہا تُہہِ مزُورِ إِنْ أَجْرِيَ إِلَّا عَلَى اللَّهِ میانِ مزورِ چھَنہ کانسہِ مٔتہِ خدایس ورای۔ غرض نہ چھُس بُو تُہہِ کھوژان نہ چھُسوہ کینہہ منگان وَأُمِرْتُ أَنْ أَكُونَ مِنَ الْمُسْلِمِينَ مہِ آو حُکم کرنہ کہ بوروزہ فرمانبردار وأندرہ۔ لہٰذا چھُس بُو تعمیل حُکم کٔرِت تُہہِ وعظ و نصیحت کران۔ ہرگاہ تُہہ مانِونہ۔ میہ کیاہ نقصان چھُو تتھ اندر فَكَذَّبُوهُ یُتھ بلیغ وعظ تہ یژھ فہمایش کرنہ پتہِ کور تموٚ تَس اِنکاری۔ اتھ اِنکار کرنَس پیٹھ سوٗزاَسہِ تمن پیٹھ عذاب طوفان۔ یمہِ سیتِ تمِ ساری ہلاک سپدِ فَنَجَّيْنَاهُ وَمَن مَّعَهُ فِي الْفُلْكِ پس دیُت نجات اَسہِ حضرتِ نوٗحس، بیہِ تمِ تمن سیتِ آسِ ناوِہ منز، ژٔتجہِ مَرد تہ ژٔتجہِ زنانہ وَجَعَلْنَاهُمْ خَلَائِفَ بیہِ کٔر اَسہِ تمِ زمیٖنس پیٹھ آباد وَأَغْرَقْنَا الَّذِينَ كَذَّبُوا بِآيَاتِنَا باقی پھاٹو اَسہِ تمِ لُوکھ یمو اِنکار کور سانین آیاتن فَانظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُنذَرِينَ پس وچھِو تُہہ یا رسوٗل اللہ

ثُمَّ بَعَثْنَا مِنْ بَعْدِهٖ رُسُلًا اِلٰى قَوْمِهِمْ فَجَآءُوْهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ فَمَا كَانُوْا لِيُؤْمِنُوْا بِمَا كَذَّبُوْا بِهٖ مِنْ قَبْلُ ؕ كَذٰلِكَ نَطْبَعُ عَلٰى قُلُوْبِ الْمُعْتَدِيْنَ ﴿٧٤﴾ ثُمَّ بَعَثْنَا مِنْ بَعْدِهِمْ مُّوْسٰى وَهٰرُوْنَ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ بِاٰيٰتِنَا فَاسْتَكْبَرُوْا وَكَانُوْا قَوْمًا مُّجْرِمِيْنَ ﴿٧٥﴾ فَلَمَّا جَآءَهُمُ الْحَقُّ مِنْ عِنْدِنَا قَالُوْٓا اِنَّ هٰذَا لَسِحْرٌ مُّبِيْنٌ ﴿٧٦﴾ قَالَ مُوْسٰٓى اَتَقُوْلُوْنَ لِلْحَقِّ لَمَّا جَآءَكُمْ ؕ اَسِحْرٌ هٰذَا ؕ وَلَا يُفْلِحُ

---

کیُتھ سپدُ بیچھ انجام تمن لوکن ہُند یمَن بیم کرنہ یوان اوس یعنی بینجری منز دتوکھ نہ سزا بلکہ وارہ فِکرہ تأرِتھ سمجھاوِتھ مگر یلہِ نہ تمو مون ادہ آکھ سزادنہ یوہے حال بنہِ تمن تہ یم توہہِ اِنکار کران چھہِ)

ثُمَّ بَعَثْنَا مِنْ بَعْدِهٖ رُسُلًا اِلٰى قَوْمِهِمْ توپتہ سوزِ اَسہ حضرتِ نوحس پتہ بیٔے پیغمبر پنہ نین پنہ نین قومَن کُن فَجَآءُوْهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ پس آیِ تم پیغمبر تمن نِش نہ دلیلہ ہیتھ فَمَا كَانُوْا لِيُؤْمِنُوْا بِمَا كَذَّبُوْا بِهٖ مِنْ قَبْلُ پس آسِ نہ تم تمہ قسمک لوکھ، تم کیا کرہَن پزِ تتھ یتھ تموٗ امہ برونٹھ اِنکار کورمُت اوس كَذٰلِكَ نَطْبَعُ عَلٰى قُلُوْبِ الْمُعْتَدِيْنَ تِتھے پاٹھِ کیا چھہِ اسِ مُہر کران حدہ ڈلہ ونین ہندین دِلَن پیٹھ۔ ثُمَّ بَعَثْنَا مِنْ بَعْدِهِمْ مُّوْسٰى وَهٰرُوْنَ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ بِاٰيٰتِنَا توپتہ سوزِ تمن پیغمبرن پتہ اَسہِ حضرتِ موسیٰ بیہ حضرتِ ہارون فرعونس تہ تہندین ہمنشین کُن پنن مُعجزاتِ عصا تہ یدِ بیضا ہیتھ فَاسْتَكْبَرُوْا وَكَانُوْا قَوْمًا مُّجْرِمِيْنَ پس کور تموٗ تصدیق کرنہ نشہ تکبّر۔ بیہ آسِ تم لوکھ جرائمن ہندِ خوگر۔ تمہ موکھ کرنہ تموٗ اطاعت فَلَمَّا جَآءَهُمُ الْحَقُّ مِنْ عِنْدِنَا پس یلہِ واتہ تمن نِشہ نبوّتِ موسویس پیٹھ سانہِ طرفہ صحیح دلیلہ یعنی مُعجزات قَالُوْٓا اِنَّ هٰذَا لَسِحْرٌ مُّبِيْنٌ دپنہ لگ تم بیشک یہ چھو نون سحر تہ جود قَالَ مُوْسٰٓى اَتَقُوْلُوْنَ لِلْحَقِّ لَمَّا جَآءَكُمْ حضرتِ موسیٰ ان دوپُھ اَی کافرو کیاہ تُہہِ چھوہ پزِھ کتھ وَنان اتھ صحیح دلیلہِ یلہ سو توہہِ نشہِ واتِ اَسِحْرٌ هٰذَا وَلَا يُفْلِحُ السّٰحِرُوْنَ کیاہ یہ چھا جود تہ سحر۔ حالانکہِ جادوگر چھنہِ کامیاب سپدان نبوّتک دعویٰ کرنس اندر قَالُوْٓا اَجِئْتَنَا لِتَلْفِتَنَا تم لگِ تورہ وننہِ

السّٰحِرُوْنَ ﴿٧٧﴾ قَالُوْٓا اَجِئْتَنَا لِتَلْفِتَنَا عَمَّا وَجَدْنَا عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا
وَتَكُوْنَ لَكُمَا الْكِبْرِيَآءُ فِي الْاَرْضِ ؕ وَمَا نَحْنُ لَكُمَا بِمُؤْمِنِيْنَ ﴿٧٨﴾
وَقَالَ فِرْعَوْنُ ائْتُوْنِيْ بِكُلِّ سٰحِرٍ عَلِيْمٍ ﴿٧٩﴾ فَلَمَّا جَآءَ السَّحَرَةُ
قَالَ لَهُمْ مُّوْسٰٓى اَلْقُوْا مَآ اَنْتُمْ مُّلْقُوْنَ ﴿٨٠﴾ فَلَمَّآ اَلْقَوْا قَالَ مُوْسٰى
مَا جِئْتُمْ بِهِ ۙ السِّحْرُ ؕ اِنَّ اللّٰهَ سَيُبْطِلُهٗ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا يُصْلِحُ عَمَلَ
الْمُفْسِدِيْنَ ﴿٨١﴾ وَيُحِقُّ اللّٰهُ الْحَقَّ بِكَلِمٰتِهٖ وَلَوْ كَرِهَ الْمُجْرِمُوْنَ ﴿٨٢﴾ ع
فَمَآ اٰمَنَ لِمُوْسٰٓى اِلَّا ذُرِّيَّةٌ مِّنْ قَوْمِهٖ عَلٰى خَوْفٍ مِّنْ فِرْعَوْنَ

---

ای موسیٰ کیاہ ژہ آکھ اَسہِ تمہِ کامہِ نشہِ پھرنہ خیطرہ عَمَّا وَجَدْنَا عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا یُس کام کران وچھ اَسہِ پانہ پنِنِ مالِ تہ بُڈہب۔ وَتَكُوْنَ لَكُمَا الْكِبْرِيَآءُ فِي الْاَرْضِ بیہِ چھوہ تُہہ یژھان کہِ توہہِ گژھہِ اَسہِ پیٹھ سرداری تہِ زٹھلِ حاصل سپدنِ دُنیاء س اَندر وَمَا نَحْنُ لَكُمَا بِمُؤْمِنِيْنَ اَسِ ہرگزِ توہہِ پژھہ گرونہ وَقَالَ فِرْعَوْنُ ائْتُوْنِيْ بِكُلِّ سٰحِرٍ عَلِيْمٍ بیہِ وون فرعونَن پنہ نین ہمنشین تُہہ دِیُو کھ اَتھِ مہِ ساری زانن وال جادُوگر فَلَمَّا جَآءَ السَّحَرَةُ اَدہ یلہِ آیِ تمِ جادُوگر قَالَ لَهُمْ مُّوْسٰٓى اَلْقُوْا مَآ اَنْتُمْ مُّلْقُوْنَ تمن دُوپ حضرتِ موسیٰ اَن تراوِو پتھر میدانَس منزیہ توہہِ تراوُن چھُو جادِہ اَندرہ فَلَمَّآ اَلْقَوْا قَالَ مُوْسٰى مَا جِئْتُمْ بِهِ السِّحْرُ پَس یلہِ تروو تموٗیہ تراوُن اوسُکھ، حضرتِ موسیٰ اَن دوپُکھ ای ساحرو تُہہ یہ ہیتھ آمتِ چھوہ، یہ گوجود۔ تہِ چھُو نہ جودیتھ فرعونہ سندِ لُوکھ جودونان چھہِ۔ تمِ گئے مُعجزات اِنَّ اللّٰهَ سَيُبْطِلُهٗ اللہ تعالیٰ کرِہ اَتھ تہندِس جادِس ضرُور باطِل تہ بے کار اِنَّ اللّٰهَ لَا يُصْلِحُ عَمَلَ الْمُفْسِدِيْنَ پزپاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُونہ شیران تہ سنبھالان مُفسدَن ہنزہ کامہِ۔ تمِ مُعجزن سیتِ مقابلہ کرَن وَيُحِقُّ اللّٰهُ الْحَقَّ بِكَلِمٰتِهٖ وَلَوْ كَرِهَ الْمُجْرِمُوْنَ بیہِ چھُو اللہ تعالیٰ پزِس مضبوط تہ محکم کران حسبِ وعدہ پننہِ حُکمہ سیتِ۔ اگرچہِ ناگواری گژھِن کافرَن تہ نافرمانَن فَمَآ اٰمَنَ لِمُوْسٰٓى اِلَّا ذُرِّيَّةٌ مِّنْ قَوْمِهٖ عَلٰى خَوْفٍ مِّنْ فِرْعَوْنَ

وَمَلَا۟ئِهِمْ أَن يَفْتِنَهُمْ ۚ وَإِنَّ فِرْعَوْنَ لَعَالٍ فِي الْأَرْضِ وَإِنَّهُ
لَمِنَ الْمُسْرِفِينَ ﴿٨٣﴾ وَقَالَ مُوسَىٰ يَا قَوْمِ إِن كُنتُمْ آمَنتُم بِاللَّهِ
فَعَلَيْهِ تَوَكَّلُوا إِن كُنتُم مُّسْلِمِينَ ﴿٨٤﴾ فَقَالُوا عَلَى اللَّهِ تَوَكَّلْنَا
رَبَّنَا لَا تَجْعَلْنَا فِتْنَةً لِّلْقَوْمِ الظَّالِمِينَ ﴿٨٥﴾ وَنَجِّنَا بِرَحْمَتِكَ مِنَ
الْقَوْمِ الْكَافِرِينَ ﴿٨٦﴾ وَأَوْحَيْنَا إِلَىٰ مُوسَىٰ وَأَخِيهِ أَن تَبَوَّآ
لِقَوْمِكُمَا بِمِصْرَ بُيُوتًا وَاجْعَلُوا بُيُوتَكُمْ قِبْلَةً وَأَقِيمُوا

---

وَمَلَا۟ئِهِمْ أَن يَفْتِنَهُمْ پَس پرٛتھ کرٛنہ حضرتِ موسیٰ اَس گوڈہ گوڈہ مگر پننہ قومہ کیو کینٛہہ و شخصو یم تہندِ رِشتہ دار آسِ۔ سُوتہِ فرعونس تہ تہندین ہمنشین نِشہِ کھوژِ کھوژِ۔ یُتھنہ سُو تِمن سختی کرِ تہ پانس کُن پھِرِ ہ۔ واقعی تُہند کھوژُن بے معنی اُوس نہ کیازِہ وَإِنَّ فِرْعَوْنَ لَعَالٍ فِي الْأَرْضِ فرعون اُوس نا زبردست بادشاہ زمینِ مِصرس منز وَإِنَّهُ لَمِنَ الْمُسْرِفِينَ بیہ اوسنا سُو سیٹھاہ زیادتی تہ ظُلم کرہ ڈن۔ حضرتِ موسیٰ اَن یلہِ ڈِچھ یِم چھِہ فرعونس نِشہِ سخت تھار سمت وَقَالَ مُوسَىٰ يَا قَوْمِ إِن كُنتُمْ آمَنتُم بِاللَّهِ فَعَلَيْهِ تَوَكَّلُوا إِن كُنتُم مُّسْلِمِينَ ہرگاہ تُوہہِ پرٛتھ کرٛوہ کُنِس خدایس پَس کرِو تتھ پیٹھ اعتماد، چھوے تُہہ فرمانبردار فَقَالُوا عَلَى اللَّهِ تَوَكَّلْنَا پَس ڈون تمو اَسہِ کر لِس معبودِ برحقس پیٹھ واقعی توکل تہ اعتماد (تو پتہ کرڈ کھ دُعا) رَبَّنَا لَا تَجْعَلْنَا فِتْنَةً لِّلْقَوْمِ الظَّالِمِينَ ائ سانہِ پروردگارہ اَسہِ مہ بناوَ تختہ مشق یمَن ظالم لوکن ہنز وَنَجِّنَا بِرَحْمَتِكَ مِنَ الْقَوْمِ الْكَافِرِينَ بیہ دِہ نجات اَسہِ محض پننہِ رَحمتہ سیتِ یمَنِ کافرَن نِشہِ وَأَوْحَيْنَا إِلَىٰ مُوسَىٰ وَأَخِيهِ أَن تَبَوَّآ لِقَوْمِكُمَا بِمِصْرَ بُيُوتًا بیہ سوز اَسہِ وحی حضرتِ موسیٰ بیہ تہندِس برادر حضرتِ ہارونس کُن کہِ تُہہ تھاوِ وِبد ستور پننہِ قومہ خیطرہ رہائیشی اِنتظام مِصرس اندر یُتھنہ فرعونین ہند یو گرَو منزہ نیر تھ ژلُو۔ اَسِ گرَو تُہنز حفاظت وَاجْعَلُوا بُيُوتَكُمْ قِبْلَةً بیہ آسو نمِازن ہندہ وقتہ تَمِ پنن گرہ بناوان مسجد۔ نماز آسو گرہ نی منز پران وَأَقِيمُوا الصَّلَاةَ یہ چھُو سیٹھا ضروری کہ نمِاز تھاوو برپا۔ یُتھ نمِازہ ہندِہ برکتہ اللہ تعالیٰ جلد مصیبت دُور گرِ وہ

الصَّلٰوةَ ۭ وَبَشِّرِ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۸۷﴾ وَقَالَ مُوْسٰى رَبَّنَآ اِنَّكَ
اٰتَيْتَ فِرْعَوْنَ وَمَلَاَهٗ زِيْنَةً وَّاَمْوَالًا فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۙ
رَبَّنَا لِيُضِلُّوْا عَنْ سَبِيْلِكَ ۚ رَبَّنَا اطْمِسْ عَلٰٓي اَمْوَالِهِمْ وَاشْدُدْ
عَلٰي قُلُوْبِهِمْ فَلَا يُؤْمِنُوْا حَتّٰى يَرَوُا الْعَذَابَ الْاَلِيْمَ ﴿۸۸﴾
قَالَ قَدْ اُجِيْبَتْ دَّعْوَتُكُمَا فَاسْتَقِيْمَا وَلَا تَتَّبِعٰۗنِّ سَبِيْلَ
الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۸۹﴾ وَجٰوَزْنَا بِبَنِيْٓ اِسْرَاۗءِيْلَ الْبَحْرَ فَاَتْبَعَهُمْ

---

وَبَشِّرِ الْمُؤْمِنِيْنَ اي موسىٰ بشارت ڏيو باايمانن نجاتَ ۽ ڪاميابي هنن وَقَالَ مُوْسٰى ٻيهر مُناجات حضرتِ موسىٰ ان رَبَّنَآ اِنَّكَ اٰتَيْتَ فِرْعَوْنَ وَمَلَاَهٗ زِيْنَةً وَّاَمْوَالًا فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا اي سانهِ پروردگاره بيشڪ ڙي ڏيو ٿُهِ فرِعونس ٻيهِ ٿهندِ مِن اهلڪارن دُنياهس اندر بوڏ شان و شوڪت ٻيهِ واريا مال و دولت رَبَّنَا لِيُضِلُّوْا عَنْ سَبِيْلِكَ اي سانه پروردگاره يه ڪرٿهڪ يِٿه تِمِ ڏالن لوڪن چانهِ وَتهِ نِشهِ۔ پَس يلهِ نه هدايت ٿهندِه نصيبه ڇهو، يُوسه حڪمت اتهِ منز آس سُوسپز حاصلِ۔ ووِنِ ڪيازِه مِن تِمِ تهِ ٿهند مال باقي ٿهاونهِ رَبَّنَا اطْمِسْ عَلٰٓي اَمْوَالِهِمْ اي سانهِ پروردگاره پهش پهر ٿهندِين مالن ته جائيدادن وَاشْدُدْ عَلٰي قُلُوْبِهِمْ سخت ڪرِ کهِ دل ٿهِند فَلَا يُؤْمِنُوْا حَتّٰى يَرَوُا الْعَذَابَ الْاَلِيْمَ يِٿهنه تِمِ ايمان اَنن تو تانِ يُوتانِ نه ڪُڏُر۔ عذاب پنه نيو اڇهو ڇهن۔ حضرتِ موسىٰ آسِ يهِ دُعا ڪران ته حضرتِ هارُون آسِ آمين آمين ڪران قَالَ قَدْ اُجِيْبَتْ دَّعْوَتُكُمَا فَاسْتَقِيْمَا الله تعالىٰ اَن فرموو ڪه اي موسىٰ، اي هارُون بتحقيق قبول آوَ ڪرنه دُعا ٿُهنُد (آمين ڪرن تهِ گو دعاءَس منز شامِل سپُدن) پَس رُوزِو ٿُهه پنه نِس فرض منصبس پيٺهِ استقامت ڪرِ ٿه وَلَا تَتَّبِعٰۗنِّ سَبِيْلَ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ يُٿهنه پيروي ڪرِ وِٿهه تِمن لوڪن هنز يِم بے علم ڇهِ۔ تِمَنِ نه معلوم ڇهو سانهِ وعدڪِه پُوز آسنڪ۔ يلهِ فرعونه سندِه هلاڪتڪ وقت قريب. ووت اَسهِ ڪورُ حڪم حضرتِ موسىٰ اَس ڪه بني اسرائيل ڪڏيُو ڪه مِصره منزه نيبر۔ چنانچهِ درايِ تِم بني اسرائيل هيٿه مِصره منزه وَتهِ آکهِ برونٺهِ دريايِ قُلزم۔ حضرتِ موسىٰ سندِه دعاءِه سيت ٻني اَته

فِرْعَوْنُ وَجُنُوْدُهٗ بَغْيًا وَّعَدْوًا ؕ حَتّٰۤى اِذَاۤ اَدْرَكَهُ الْغَرَقُ ۙ قَالَ اٰمَنْتُ اَنَّهٗ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّا الَّذِیْۤ اٰمَنَتْ بِهٖ بَنُوْۤا اِسْرَآءِیْلَ وَ اَنَا مِنَ الْمُسْلِمِیْنَ ﴿٩٠﴾ آٰلْـٰٔنَ وَقَدْ عَصَیْتَ قَبْلُ وَكُنْتَ مِنَ الْمُفْسِدِیْنَ ﴿٩١﴾ فَالْیَوْمَ نُنَجِّیْكَ بِبَدَنِكَ لِتَكُوْنَ لِمَنْ خَلْفَكَ اٰیَةً ؕ وَاِنَّ كَثِیْرًا مِّنَ النَّاسِ عَنْ اٰیٰتِنَا لَغٰفِلُوْنَ ﴿٩٢﴾ ع وَلَقَدْ بَوَّاْنَا بَنِیْۤ اِسْرَآءِیْلَ مُبَوَّاَ صِدْقٍ وَّرَزَقْنٰهُمْ مِّنَ الطَّیِّبٰتِ ۚ

---

دریاوَسی باہ کوچھِ وَجٰوَزْنَا بِبَنِیْۤ اِسْرَآءِیْلَ الْبَحْرَ بیہ یلہِ اپُور تارِ اَسہِ بنی اسرائیل دریاىِ قلزمَس فَاَتْبَعَهُمْ فِرْعَوْنُ وَجُنُوْدُهٗ بَغْیًا وَّعَدْوًا پَس دور یو تمن پتہ فرعون پنن لشکر ہیتھ ظُلمہ کن بیہ حدٕ نشہِ تجاوز کرنہ کن۔ خیال اُوس کہ دریاءِ نشہِ اپور تَرِ تھ کرکھ بُو ساری بنی اسرائیل قتل۔ لیکنِ تمِ گئے اُپور ترَئے برونٹھی یتھِ دریاوَس اندر غرق حَتّٰۤى اِذَاۤ اَدْرَكَهُ الْغَرَقُ تاانیکہِ یلہِ فرعون پھٹن ہیوتن قَالَ اٰمَنْتُ اَنَّهٗ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّا الَّذِیْۤ اٰمَنَتْ بِهٖ بَنُوْۤا اِسْرَآءِیْلَ وَ اَنَا مِنَ الْمُسْلِمِیْنَ تمہِ ساتہ لگ دپنہِ ایمان اُون مہِ۔ کانہہ معبود داہ چھونہ تس ذاتِ پاکس ورای یَس ایمان اون بنی اسرائیلو۔ بیہ چھوس بُوتہِ فرمانبردار وَاندرہ آٰلْـٰٔنَ وَقَدْ عَصَیْتَ قَبْلُ وَكُنْتَ مِنَ الْمُفْسِدِیْنَ اللہ تعالیٰ اَن فرموُس ملایکن ہندہِ ذریعہ اَمی فرعونٕ وُنکنس چھُوکھ فرمانبرداری ہُند اقرار کران۔ یمہِ ساتہ نہ اقرار کرنس کنہی فائیدہ چھوی۔ کیازِہ عالمِ آخر تک معاینہ کرنہ پتہ چھونہ اقرار کرنس کانہہ اعتبار۔ بتحقیق اَرکہِ برونٹھ کاژاہ نافرمانی تہ سرکشی کُرِ تھہ۔ بیہِ اُوسکھ تباہی کرہ وینواندرہ فَالْیَوْمَ نُنَجِّیْكَ بِبَدَنِكَ لِتَكُوْنَ لِمَنْ خَلْفَكَ اٰیَةً پَس چھِن ازاَسِ چون بدَن بچاوان نیست ونابود گژھنہ نشہِ۔ یُتھ ژیہ پتہ یِنہ والین ہندہ خیطرہ عبر تک اکھ نشانہ روزِن۔ چانِ بدحالی تہ تباہی ؤچھتھ روزن احکام الٰہیَن ہندہ مخالفتہ نشہِ پتھ وَاِنَّ كَثِیْرًا مِّنَ النَّاسِ عَنْ اٰیٰتِنَا لَغٰفِلُوْنَ بیشک لُوکو اندرہ چھِ وارِیاہ سانیو قدرتہ کیو نشانو نشہِ بے خبر۔ مُخالفت احکام کرنہ نشہِ چھنہِ کھوژان تہ پتھ روزان وَلَقَدْ بَوَّاْنَا بَنِیْۤ اِسْرَآءِیْلَ مُبَوَّاَ صِدْقٍ پَتہِ پاٹھِ فرعونہ

فَمَا اخْتَلَفُوْا حَتّٰى جَآءَهُمُ الْعِلْمُ ؕ اِنَّ رَبَّكَ يَقْضِىْ بَيْنَهُمْ
يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ ﴿٩٣﴾ فَاِنْ كُنْتَ فِىْ شَكٍّ
مِّمَّاۤ اَنْزَلْنَاۤ اِلَيْكَ فَسْـَٔلِ الَّذِيْنَ يَقْرَءُوْنَ الْكِتٰبَ مِنْ
قَبْلِكَ ۚ لَقَدْ جَآءَكَ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ فَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُمْتَرِيْنَ ﴿٩٤﴾
وَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ فَتَكُوْنَ مِنَ
الْخٰسِرِيْنَ ﴿٩٥﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ حَقَّتْ عَلَيْهِمْ كَلِمَتُ رَبِّكَ لَا

---

سندِ ہلاک کرَنہٕ پتہٕ بساوِ اَسہِ بنی اسرائیل رٔژِہ جایہِ۔ تِم سپدِ مِصرک مالک وَرَزَقْنٰهُمْ مِّنَ الطَّيِّبٰتِ بیہٕ کوراَسہِ تِمن عطا رِزق، رتہِ رتہِ چیز اَتھ مصرس اندر۔ اتھ کُن نظر کٔرِتھ پزِہا تِمن سانِ اطاعت تہٕ فرمانبرداری کرَنِ۔ مگر تِمَو کور تتھ بدَل۔ تِمَو کور دِینس اندر اختلاف۔ افسُوس کہ یہ اِختلاف ترووُنہ تِمَو نادانی تہٕ جہلہ کِن فَمَا اخْتَلَفُوْا حَتّٰى جَآءَهُمُ الْعِلْمُ پتہٕ کورُنہ تِمَو اختلاف مگر اکامَن ہُند علم واتنہٕ پتہٕ اِنَّ رَبَّكَ يَقْضِىْ بَيْنَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ پٔزِ پاٹھِ تُہند پروردگار کرِہ فیصلہ تِمن اختلاف کرہ وٕنین منز قیامتھِ دوہ۔ تِمن سارنی چیزن ہُند یِمَن منز تِم اختلاف کران آسِ فَاِنْ كُنْتَ فِىْ شَكٍّ مِّمَّاۤ اَنْزَلْنَاۤ اِلَيْكَ یارسول اللہ ہرگاہ بالفرض توہہِ کُنہِ قِسمہ ترُدد تہٕ شک آسہِ قرآن مجیدس منز یُس اَسہِ کُن نازِل کور۔ یہِ شُبہ رفع کرنہ خیطرہ چھُو اکھ سہَل طریقہ فَسْـَٔلِ الَّذِيْنَ يَقْرَءُوْنَ الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِكَ تُہہ کٔرِو دریافت تِمن لُوکن نِشہِ یِم لُوکھ برُونٹھمہِ کتابہ پران چھِہ۔ تِمِ وَنن توہہِ بے شک قرآنِ مجید چھُو خدایہِ سندِہ طرفہ نازِل سپدان لَقَدْ جَآءَكَ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ بتحقیق شک وشُبہہ ورای آیہِ توہہ کُن پزِ کتاب تُہندِس پروردگارہ سندِہ طرفہ فَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُمْتَرِيْنَ پَس مہٕ حض آسِو تُہہ شک تہٕ ترددُ کرونیو اَندرہ وَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ فَتَكُوْنَ مِنَ الْخٰسِرِيْنَ بیہٕ مہٕ آسِو ہرگز تُہہ تِمَو لُوکو اندرہ یِمَو اپزِ زانتھ اِنکار کور خدایہِ سندین آیاتَن۔ پَس سپدِو تُہہ تہٕ نقصان تُلہ و نیو اَندرہ اِنَّ الَّذِيْنَ حَقَّتْ عَلَيْهِمْ كَلِمَتُ رَبِّكَ لَا يُؤْمِنُوْنَ پٔزِ پاٹھِ یِمن لُوکن ہندِہ خیطرہ یہِ

يُؤْمِنُوْنَ ﴿٩٦﴾ وَلَوْ جَآءَتْهُمْ كُلُّ اٰيَةٍ حَتّٰى يَرَوُا الْعَذَابَ الْاَلِيْمَ ﴿٩٧﴾

فَلَوْلَا كَانَتْ قَرْيَةٌ اٰمَنَتْ فَنَفَعَهَآ اِيْمَانُهَآ اِلَّا قَوْمَ يُوْنُسَ ۭ لَمَّآ

اٰمَنُوْا كَشَفْنَا عَنْهُمْ عَذَابَ الْخِزْيِ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَمَتَّعْنٰهُمْ

اِلٰى حِيْنٍ ﴿٩٨﴾ وَلَوْ شَآءَ رَبُّكَ لَاٰمَنَ مَنْ فِي الْاَرْضِ كُلُّهُمْ جَمِيْعًا ۭ

اَفَاَنْتَ تُكْرِهُ النَّاسَ حَتّٰى يَكُوْنُوْا مُؤْمِنِيْنَ ﴿٩٩﴾ وَمَا كَانَ لِنَفْسٍ

اَنْ تُؤْمِنَ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ ۭ وَيَجْعَلُ الرِّجْسَ عَلَى الَّذِيْنَ لَا

---

ازلي حُڪم جانس پروردگاره سنده طرفه ثابت سپُد مت ڇهو تم زانهه ايمان انن نه **وَلَوْ جَآءَتْهُمْ كُلُّ اٰيَةٍ حَتّٰى يَرَوُا الْعَذَابَ الْاَلِيْمَ** هرگهي تمن نش ساري آيات ته واتن توته انن نه تم ايمان يُوتان نه وڇهن كُڏر عذاب. مگر تمه وقته ايمان اُن ڇهو بےكار ته بے اعتبار **فَلَوْلَا كَانَتْ قَرْيَةٌ اٰمَنَتْ فَنَفَعَهَآ اِيْمَانُهَآ اِلَّا قَوْمَ يُوْنُسَ** پس آس نه گنه شهركِ لوكه تمو عذاب وڇهت ايمان اُون. توپته ديٹهه تم ايمانن فائيده حضرتِ يونسه سنده قومه وراى. تمن پيٹهه يله عذاب هيوتن نازل سپُدن اتى اون تموايمان **لَمَّآ اٰمَنُوْا كَشَفْنَا عَنْهُمْ عَذَابَ الْخِزْيِ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَمَتَّعْنٰهُمْ اِلٰى حِيْنٍ** يله تموايمان اُون اتى تل اسه تمن خواري هُند عذاب دنياچه زندگى اندر. بيه تلناوِ تم زندگى هُند تمتع مر نكس وقس تانِ **وَلَوْ شَآءَ رَبُّكَ لَاٰمَنَ مَنْ فِي الْاَرْضِ كُلُّهُمْ جَمِيْعًا** بيه هرگاه تُهند پروردگار يژهه هاتله انه هن ايمان تم ساري لوكه تم زمينس پيٹهه ڇهه يكه وٹه. مگر تم يوژهه نه ته بعض حكمتن كن نظر كر تهه **اَفَاَنْتَ تُكْرِهُ النَّاسَ حَتّٰى يَكُوْنُوْا مُؤْمِنِيْنَ** كياه تُهه كريُوكه لوكه مجبور ايمان انه نس پيٹهه تااينكه ساري بنن باايمان **وَمَا كَانَ لِنَفْسٍ اَنْ تُؤْمِنَ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ** حالانكه ممكني ڇهونه كانسه شخص ايمان اُن خدايه سنده حُكمه ور آى تُهنده يژهنه ور آى. **وَيَجْعَلُ الرِّجْسَ عَلَى الَّذِيْنَ لَا يَعْقِلُوْنَ** بيه ڇهو الله تعالىٰ كُفر چه نافرماني اندر تراوان بے عقلن، تم نه عقله كوم هيوان ڇهه. **قُلِ انْظُرُوْا مَاذَا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ** فرماوِ تُهه يارسول الله لوكن، اى لوكو وڇهتوكه كياه ڇهو آسمانن ته زمينن اندر الله تعالىٰ ان پيده كورمت تمى سيت سپده هاتوهه معلوم خدايه سنده

يَعْقِلُوْنَ ﴿١٠٠﴾ قُلِ انْظُرُوْا مَاذَا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَمَا تُغْنِي
الْاٰيٰتُ وَالنُّذُرُ عَنْ قَوْمٍ لَّا يُؤْمِنُوْنَ ﴿١٠١﴾ فَهَلْ يَنْتَظِرُوْنَ اِلَّا
مِثْلَ اَيَّامِ الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلِهِمْ ؕ قُلْ فَانْتَظِرُوْٓا اِنِّيْ مَعَكُمْ
مِّنَ الْمُنْتَظِرِيْنَ ﴿١٠٢﴾ ثُمَّ نُنَجِّيْ رُسُلَنَا وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا كَذٰلِكَ ۚ
حَقًّا عَلَيْنَا نُنْجِ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿١٠٣﴾ قُلْ يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اِنْ كُنْتُمْ فِيْ
شَكٍّ مِّنْ دِيْنِيْ فَلَآ اَعْبُدُ الَّذِيْنَ تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ
وَلٰكِنْ اَعْبُدُ اللّٰهَ الَّذِيْ يَتَوَفّٰىكُمْ ۚۖ وَاُمِرْتُ اَنْ اَكُوْنَ مِنَ

---

آسڪ ۾ ڪُنوي آسڪ وَمَا تُغْنِي الْاٰيٰتُ وَالنُّذُرُ عَنْ قَوْمٍ لَّا يُؤْمِنُوْنَ ۽ ڪِياه فائيده ڏِن آيات ۽ ٻيم ڪَرَن وارِ يعني پيغمبر، تِمَن لُوڪن کيم ازلي بي ايمان آهَن فَهَلْ يَنْتَظِرُوْنَ اِلَّا مِثْلَ اَيَّامِ الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلِهِمْ پَس ڇهنه تيم لُوڪ انتظار ڪران مگر تِنهِيءَ مُشڪل ڏوهَن هُند تيم گُذرے تِمَن بروڻھ قُلْ فَانْتَظِرُوْٓا اِنِّيْ مَعَكُمْ مِّنَ الْمُنْتَظِرِيْنَ تُهه فرماويُو ڪھ ڪَرِ وانتظار تُهه ٻوتهِ ڇهوس تو هي سيت انتظار ڪره ونيو اندره ثُمَّ نُنَجِّيْ رُسُلَنَا وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا تو پته آسِ اسِ نجات ڏِوان پنه نين پيغمبرن ۽ تِمَن لُوڪن تيمو ايمان اون كَذٰلِكَ حَقًّا عَلَيْنَا نُنْجِ الْمُؤْمِنِيْنَ تِتهے پاڙِھ ڇهومَٽهِ اَسهِ پيٺھ نجات ڏيُن سارني باايمانَن. پَس هر گاه تيمن ڪافرِن پيٺھ ڪانهه عذاباه نازِل سپده باايمان لَبَن تَمهِ عذابه نِشهِ نجات. خواه دُنياء س اندر خواه آخرتس اندر قُلْ يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اِنْ كُنْتُمْ فِيْ شَكٍّ مِّنْ دِيْنِيْ فرماويُو ڪھ تُهه يارسوُل الله، اي لُوڪو هر گاه توههِ شڪ ڇهو ميانس ديُنس مُتعلق پَس واره صاف صاف ڇهُسوه بُو فرماوان فَلَآ اَعْبُدُ الَّذِيْنَ تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ پَس بو ڇهوسنه عبادت ڪران تِمَن معبُوداِن باطِلَن هنز تِمَن تُهه عبادت ڪران ڇهوه معبُود برحقس وراي وَلٰكِنْ اَعْبُدُ اللّٰهَ الَّذِيْ يَتَوَفّٰىكُمْ بلڪه ڇهوس بُو عبادت ڪران تَس خدايهِ سنزيُس توههِ قبض رُوح ڪران ڇهو وَاُمِرْتُ اَنْ اَكُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ۽ آوَمهِ حُڪم ڪرنه خدايهِ سندِه طرفه باايمانو

الْمُؤْمِنِينَ ﴿١٠٤﴾ وَأَنْ أَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّينِ حَنِيفًا ۚ وَلَا تَكُونَنَّ
مِنَ الْمُشْرِكِينَ ﴿١٠٥﴾ وَلَا تَدْعُ مِنْ دُونِ اللَّهِ مَا لَا يَنْفَعُكَ وَ
لَا يَضُرُّكَ ۚ فَإِنْ فَعَلْتَ فَإِنَّكَ إِذًا مِنَ الظَّالِمِينَ ﴿١٠٦﴾
وَإِنْ يَمْسَسْكَ اللَّهُ بِضُرٍّ فَلَا كَاشِفَ لَهُ إِلَّا هُوَ ۖ وَإِنْ يُرِدْكَ
بِخَيْرٍ فَلَا رَادَّ لِفَضْلِهِ ۚ يُصِيبُ بِهِ مَنْ يَشَاءُ مِنْ عِبَادِهِ ۚ وَهُوَ
الْغَفُورُ الرَّحِيمُ ﴿١٠٧﴾ قُلْ يَا أَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَاءَكُمُ الْحَقُّ مِنْ
رَبِّكُمْ ۖ فَمَنِ اهْتَدَىٰ فَإِنَّمَا يَهْتَدِي لِنَفْسِهِ ۖ وَمَنْ ضَلَّ فَإِنَّمَا

---

وَأَنْ أَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّينِ حَنِيفًا بیہ آومہِ حُکم کرنہ متوجہ روز ٹُک دین توحیدس کُن ساری باقی دین ترأوِتھ۔ وَلَا تَكُونَنَّ مِنَ الْمُشْرِكِينَ بیہ آم وننہ یُتھنہ ہرگز ژہ آسکھ مشرکو اَندرہ وَلَا تَدْعُ مِنْ دُونِ اللَّهِ مَا لَا يَنْفَعُكَ وَلَا يَضُرُّكَ بیہ یُتھنہ خدائس وراۓ بیہ کانسہِ منگان آسکھ۔ یُوسنہ ژہ تھنز عبادت کرِت کانہہ نفع ہیکی واتہ ناوِتھ۔ عبادت نہ کرِتھ کانہہ ضرر ہیکی واتناوِتھ فَإِنْ فَعَلْتَ فَإِنَّكَ إِذًا مِنَ الظَّالِمِينَ پس ہرگاہ ژہ یژھہ کام کرکھ یعنی معبودِ برحقس وراۓ بیہ کانسہِ عبادت کرکھ پس چھوکھ ژہ تلہِ ظالمو اَندرہ۔ یمو خدایہ سُند حق ضائع کور وَإِنْ يَمْسَسْكَ اللَّهُ بِضُرٍّ فَلَا كَاشِفَ لَهُ إِلَّا هُوَ بیہ آوَمہِ وننہ کہِ ہرگاہ اللہ تعالیٰ کانہہ سختیاہ واتناوی ژیہ۔ پس چھونہ کانہہ سۆ سختی دُور کرہ وُن تس وراۓ وَإِنْ يُرِدْكَ بِخَيْرٍ فَلَا رَادَّ لِفَضْلِهِ بیہ ہرگاہ سۆ یژھہِ کانہہ خیراہ چانہِ خیطرہ پس ہیکہِ نہ پتھ رٹتھ کانہہ اکھاہ تہندِس فضلس يُصِيبُ بِهِ مَنْ يَشَاءُ مِنْ عِبَادِهِ بلکہ چھُ سۆ فضل پنُن واتناوان پننہ نیو بندَو اندرہ یس یژھان چھُ تہ تس وَهُوَ الْغَفُورُ الرَّحِيمُ بیہ چھُ سۆ سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن سیٹھاہ رحم کرہ وُن قُلْ يَا أَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَاءَكُمُ الْحَقُّ مِنْ رَبِّكُمْ فرماوِتھ لُوکن اۓ لُوکو بتحقیق آو توہہِ کُن دینِ حق پننہ نِس پروردگارسندِہ طرفہ۔ فَمَنِ اهْتَدَىٰ فَإِنَّمَا يَهْتَدِي لِنَفْسِهِ وَمَنْ ضَلَّ فَإِنَّمَا يَضِلُّ عَلَيْهَا

يَضِلُّ عَلَيْهَا ۚ وَمَآ أَنَا عَلَيْكُم بِوَكِيلٍ ﴿١٠٨﴾ وَاتَّبِعْ مَا يُوحَىٰٓ
إِلَيْكَ وَاصْبِرْ حَتَّىٰ يَحْكُمَ اللَّهُ ۚ وَهُوَ خَيْرُ الْحَاكِمِينَ ﴿١٠٩﴾

---

پس یُس سیزہ وَتہِ پیٹھ اِیہِ سۄ اِیہِ پننہِ فائیدہ خیطرہ بیہِ یُس شخص تمہِ نشہِ ڈلہِ، سۄ ڈلہِ پننہِ پانہٕ ضررہ خیطرہ وَمَآ أَنَا عَلَيْكُم بِوَكِيلٍ مہِ چھنہٕ تہنز کام پُتھر نہ آمژ۔ یُوکروہ توہہِ ہدایت قبول کرنس پیٹھ مجبور وَاتَّبِعْ مَا يُوحَىٰٓ إِلَيْكَ وَاصْبِرْ حَتَّىٰ يَحْكُمَ اللَّهُ وَهُوَ خَيْرُ الْحَاكِمِينَ بیہِ کرِو تُہہ پیروی تتھ یہِ توہہِ کُن وحی سوزنہ یِوان چھو۔ بیہِ کرِو کافرن ہندِس کُفرس تہ تکلیفس پیٹھ تُہہ صبر۔ یُو ستانِ اللہ تعالیٰ پنُن فیصلہ تہ حُکم جاری کرہِ۔ سۄی چھو رُت حُکم تہ فیصلہ کرہ وُن۔



# سُوْرَةُ هُوْدٍ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

الۤرٰ كِتٰبٌ اُحْكِمَتْ اٰيٰتُهٗ ثُمَّ فُصِّلَتْ مِنْ لَّدُنْ حَكِيْمٍ خَبِيْرٍ ﴿۱﴾ اَلَّا تَعْبُدُوْٓا اِلَّا اللّٰهَ ؕ اِنَّنِيْ لَكُمْ مِّنْهُ نَذِيْرٌ وَّبَشِيْرٌ ﴿۲﴾ وَّاَنِ اسْتَغْفِرُوْا رَبَّكُمْ ثُمَّ تُوْبُوْٓا اِلَيْهِ يُمَتِّعْكُمْ مَّتَاعًا حَسَنًا اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى وَّيُؤْتِ كُلَّ ذِيْ فَضْلٍ فَضْلَهٗ ؕ وَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنِّيْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ كَبِيْرٍ ﴿۳﴾ اِلَى اللّٰهِ مَرْجِعُكُمْ ۚ وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۴﴾

---

الۤرٰ كِتٰبٌ اُحْكِمَتْ اٰيٰتُهٗ ثُمَّ فُصِّلَتْ مِنْ لَّدُنْ حَكِيْمٍ خَبِيْرٍ امیُک معنی چھُ معلوم خدایس سئ یہِ قرآن مجید چھُ کتاباہ یمِک آیات تہٕ احکام چھِ مضبوط تہٕ محکم کرنہٕ آمت دلیلو سیت۔ تو پتہٕ چھِ تمِ احکام ویژھنا ونہٕ آمتِ حکمتہٕ والِس تہٕ باخبر خدایہِ سندِہ طرفہٕ۔ یمیُک مقصد چھُ وای زِہ اَلَّا تَعْبُدُوْٓا اِلَّا اللّٰهَ تمو حُکمو منزہ چھُ گوڈنِکی حُکمہ کہ عبادت تہٕ پرستش مہ کٔرِو کانسہِ ہنز کُنِس خدایس ورای۔ اِنَّنِيْ لَكُمْ مِّنْهُ نَذِيْرٌ وَّبَشِيْرٌ بو چھُس تُہندِہ خیطرہ تہندی طرفہ بیم کرہ ڈن تہندہ عذابُک۔ خوشخبر ونہ ون تہندین انعامن ہُند وَّاَنِ اسْتَغْفِرُوْا رَبَّكُمْ ثُمَّ تُوْبُوْٓا اِلَيْهِ بیہِ منگوپنہ نین گُنہن ہندِہ خیطرہ مغفرت پنہ نِس پروردگارس۔ تو پتہٕ کٔرِو رجوع تمِس کُن يُمَتِّعْكُمْ مَّتَاعًا حَسَنًا اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى یُتھ فایدہ تُلناوِہ توہہِ رُت فائدہ اکِس مُقرر کرنہ آمتِس وقس تانِ یعنی مرنکس وقس تانِ وَّيُؤْتِ كُلَّ ذِيْ فَضْلٍ فَضْلَهٗ بیہِ کرہِ عطا پریتھ زیادہ عمل کرہ ون‌س زیادہ مزُورِ وَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنِّيْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ كَبِيْرٍ اگر تُہہ ایمان انٕنہ نِشہِ بُتھ پھِر وتلہِ چھُس بو کھوژان تہندِہ حقہٕ بڈِہ دُہکِس عذابس (سُہ گو قیامتُک دوہ) اِلَى اللّٰهِ مَرْجِعُكُمْ وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ اللہ تعالیٰ سی کُن چھُو تُہہِ پو تُس واتُن سُہ چھُو پریتھ چیزس پیٹھ قدرتہ

اَلَآ اِنَّهُمْ يَثْنُوْنَ صُدُوْرَهُمْ لِيَسْتَخْفُوْا مِنْهُ ؕ اَلَا حِيْنَ يَسْتَغْشُوْنَ ثِيَابَهُمْ ۙ يَعْلَمُ مَا يُسِرُّوْنَ وَمَا يُعْلِنُوْنَ ۚ اِنَّهٗ عَلِيْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ ۝۵ وَمَا مِنْ دَآبَّةٍ فِی الْاَرْضِ اِلَّا عَلَى اللّٰهِ رِزْقُهَا وَ يَعْلَمُ مُسْتَقَرَّهَا وَمُسْتَوْدَعَهَا ؕ كُلٌّ فِیْ كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ ۝۶ وَ هُوَ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ فِیْ سِتَّةِ اَيَّامٍ وَّكَانَ عَرْشُهٗ عَلَى الْمَآءِ لِيَبْلُوَكُمْ اَيُّكُمْ اَحْسَنُ عَمَلًا ؕ وَلَئِنْ قُلْتَ

وول اَلَآ اِنَّهُمْ يَثْنُوْنَ صُدُوْرَهُمْ لِيَسْتَخْفُوْا مِنْهُ وارہ بُوزِو یمن کافرن ہنزِ حرکات۔ یم چھِ سینہ نومراوِتھ اکھ اکِس سیت کتھ کران۔ یتھ پُوشیدہ تھاوَن تمہِ کتھ خدائس نشہِ اَلَا حِيْنَ يَسْتَغْشُوْنَ ثِيَابَهُمْ يَعْلَمُ مَا يُسِرُّوْنَ وَمَا يُعْلِنُوْنَ وارہ بُوزِو یمہِ ساتہِ یم کلہ پیٹھ ژادر تراوِتھ چھِ پانہ وانِ کتھ کران۔ اللہ تعالیٰ چھُو تِہ سوری زانان۔ یہِ یم پُوشیدہ کران چھِ۔ یانِ پاٹھِ کران چھِ اِنَّهٗ عَلِيْمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ بڈِ پاٹھِ سُو چھُو پُورہ زانان دِلن ہنزہ اندرِمہِ کتھہ۔ ووَن گوژھناژُن یہنزَن زیون ہنزہ کتھہِ۔ وَمَا مِنْ دَآبَّةٍ فِی الْاَرْضِ اِلَّا عَلَى اللّٰهِ رِزْقُهَا وَ يَعْلَمُ مُسْتَقَرَّهَا وَمُسْتَوْدَعَهَا كُلٌّ فِیْ كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ روئے زمینس منز چھنہ کانہہ تہِ یکون جاندارہ مگر اللہ تعالیٰ اسی چھِ تمنسنز روزی مٹہ، سو چھو تمسند جائے قرارتہ جائے پناہ زانان تمس تمیک پُورعلم آسکھِ علاوہ چھُو، یہِ سوری لیکھت روشن کتابہِ اندر یعنی لوحِ محفوظس اندر وَهُوَ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ فِیْ سِتَّةِ اَيَّامٍ سُو پروردگار گو سُوی یم آسمان تہ زمین پیدہ کَر شینن دوہَن برابر وقس اندر وَّكَانَ عَرْشُهٗ عَلَى الْمَآءِ بیہ اوس عرش تہند آبس پیٹھ۔ عرش تہ آب اوس امہِ برونٹھی پیدہ آمت کرنہ یہِ سوری کورُن پیدہ۔ اتھ منز کرن تہندِ ساری ضروریات پیدہ۔ یتھ تُہہ یہِ وچھتِ توحیدس پیٹھ استدلال کرِہ ہو تہنزِہ نعمژ کھیتھ تہنز شکرگذاری کرہ ہو عبادت تہ رژ عمل کرِہ ہوٚ۔ توہہ اندرہ بعضیو کور یہِ۔ بعضیو کور اتھ بدل ناسپاسی تہ شرک لِيَبْلُوَكُمْ اَيُّكُمْ اَحْسَنُ عَمَلًا یتھ توہہِ آزمایش کرِہ۔ توہہ اندرکہہ آسہِ رُت عمل کرنہ کن وَلَئِنْ قُلْتَ اِنَّكُمْ

إِنَّكُم مَّبْعُوثُونَ مِن بَعْدِ الْمَوْتِ لَيَقُولَنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا إِنْ
هَٰذَا إِلَّا سِحْرٌ مُّبِينٌ ⑦ وَلَئِنْ أَخَّرْنَا عَنْهُمُ الْعَذَابَ إِلَىٰ أُمَّةٍ
مَّعْدُودَةٍ لَّيَقُولُنَّ مَا يَحْبِسُهُ ۗ أَلَا يَوْمَ يَأْتِيهِمْ لَيْسَ مَصْرُوفًا
عَنْهُمْ وَحَاقَ بِهِم مَّا كَانُوا بِهِ يَسْتَهْزِئُونَ ⑧ وَلَئِنْ أَذَقْنَا
الْإِنسَانَ مِنَّا رَحْمَةً ثُمَّ نَزَعْنَاهَا مِنْهُ إِنَّهُ لَيَئُوسٌ كَفُورٌ ⑨
وَلَئِنْ أَذَقْنَاهُ نَعْمَاءَ بَعْدَ ضَرَّاءَ مَسَّتْهُ لَيَقُولَنَّ ذَهَبَ

---

مَّبْعُوثُونَ مِن بَعْدِ الْمَوْتِ بیہ ہر گاہ تُہہ وَنان چھوِ لُوکن ای لو کو تُہہ اِیو مرنہ پتہ بیہ زِندہ کرنہ قیامتک دوہ لَيَقُولَنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا إِنْ هَٰذَا إِلَّا سِحْرٌ مُّبِينٌ تِمَو اندرہ یِم کافر چھِہ تِم وَنن ضرور قرآن مجیدس متعلق کہِ چھُونہ یہِ قرآن مجید یتھ منز قیامچ تہ مرنہ پتہ بیہ زِندہ گژھنچ خبر چھہ، مگر نون سحر اہ۔ کیازِہ چھِہ وَنان قرآن مجید چھُونون سحر تہ جود۔ یمن اوس خیال کہِ یتھہ پاٹھِ جود باطِل چھُو گو ابتداءس اندر چھو آسان مؤثر۔ یتھے پاٹھِ چھُو نعوذ باللہ قرآن مجید تہِ باطِل۔ اگرچہِ اِتہِ چھُو ابتداءس اندر مؤثر سپدان وَلَئِنْ أَخَّرْنَا عَنْهُمُ الْعَذَابَ إِلَىٰ أُمَّةٍ مَّعْدُودَةٍ لَّيَقُولُنَّ مَا يَحْبِسُهُ بیہ ہر گاہ اسِ پتھ نِمَو تِمن نِشہ سُو عذاب یُمیُک تِمن وعدہ یوِان چھُو کرنہ گنز رنہ آمتین کنیژن دوہَن تام۔ تِم چھِہ بطور استہزاء وَنان کُہہ سنا چیز چھُو تتھ عذابَس پتھ رٹان واقع سپدنہ نِشہِ یعنی ہر گاہ عذاب کانہہ چیز اہ آسہا تلہِ آسہِ ہانازِل آمُت کرنہ أَلَا يَوْمَ يَأْتِيهِمْ لَيْسَ مَصْرُوفًا عَنْهُمْ وارہ بوُزِو یمہِ دوہہ سُو عذاب پنہ نس موقس پیٹھ تِمن نازِل سپدِہ چھُونہ سُو عذاب کہ پتھ کیا اِیہ رٹنہ تِمن نِشہِ وَحَاقَ بِهِم مَّا كَانُوا بِهِ يَسْتَهْزِئُونَ ولنہ یِیہ تِمن سُو عذاب پنہ نِس مُوقس پیٹھ یتھ تِم ٹھٹھہ کران آسِ وَلَئِنْ أَذَقْنَا الْإِنسَانَ مِنَّا رَحْمَةً بیہ ہر گاہ اَسِ انسانس پننِہ مہربانی ہُند تہ نُعمتک مزہ چھہِ ہاوان۔ ثُمَّ نَزَعْنَاهَا مِنْهُ توپتہ چھسِ سُو نعمت اتھہ ہیوان إِنَّهُ لَيَئُوسٌ كَفُورٌ ضرور چھُو سُو نااُمید تہ ناشکر گذار سپدان وَلَئِنْ أَذَقْنَاهُ نَعْمَاءَ بَعْدَ ضَرَّاءَ مَسَّتْهُ بیہ ہر گاہ اَسِ تس انسانس سختی پتہ یُوسہ تِمن واژمژ آس نعمژن ہُند مزہ چھہِ ہاوان لَيَقُولَنَّ

الَسَّيِّاٰتُ عَنِّيْ ؕ اِنَّهٗ لَفَرِحٌ فَخُوْرٌ ﴿۱۰﴾ اِلَّا الَّذِيْنَ صَبَرُوْا
وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ ؕ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ مَّغْفِرَةٌ وَّاَجْرٌ كَبِيْرٌ ﴿۱۱﴾
فَلَعَلَّكَ تَارِكٌۢ بَعْضَ مَا يُوْحٰٓى اِلَيْكَ وَضَآئِقٌۢ بِهٖ
صَدْرُكَ اَنْ يَّقُوْلُوْا لَوْلَآ اُنْزِلَ عَلَيْهِ كَنْزٌ اَوْ جَآءَ مَعَهٗ
مَلَكٌ ؕ اِنَّمَآ اَنْتَ نَذِيْرٌ ؕ وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ وَّكِيْلٌ ﴿۱۲﴾ ؕ
اَمْ يَقُوْلُوْنَ افْتَرٰىهُ ؕ قُلْ فَاْتُوْا بِعَشْرِ سُوَرٍ مِّثْلِهٖ مُفْتَرَيٰتٍ

ذَهَبَ السَّيِّاٰتُ عَنِّيْ ضرور چھو تمہِ ساتہ ونان سختی گئیہ مہ نشہِ دُور۔ وَن آسہِ نہ سختی کینہہ اِنَّهٗ لَفَرِحٌ فَخُوْرٌ پرِپاٹِ سُو چھُو تکبّر کران۔ لوکن پیٹھ فخر بہان کرنہِ۔ اِلَّا الَّذِيْنَ صَبَرُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ مَّغْفِرَةٌ وَّاَجْرٌ كَبِيْرٌ مگر نہ تمِ لُوکھ یمَو ہمیشہ پرِیتھ حالس پیٹھ صبر کور نعمژن ہندِہ زوالکہِ وقتہ کوُرکھ صبر۔ عطاءِ نعمتکہ وقتہ دوچھ شُکر۔ بیہِ کریکھ رژہ عملہ تمِے گے تم یمہندِہ خیطرہ بُوڈ مغفرت تہ بڈ مزُورِ چھہَ فَلَعَلَّكَ تَارِكٌۢ بَعْضَ مَا يُوْحٰٓى اِلَيْكَ وَضَآئِقٌۢ بِهٖ صَدْرُكَ پس شاید چھوِہ تہہ تراوُن یژھان کانہہ حصہّ تمَواحکامو منزہ یمِ توہہِ کن نازِل کرنہِ یوان چھہِ۔ بیہِ چھوِہ تہہ تمہِ موُکھہ پنن دِل تنگ کرہ وَن۔ کیاہ یہِ چھا مُمکن کہ تہہ کیاہ تراوِو تبلیغ کرن۔ یہِ کتھ چھہَ ظاہر کہ تہہ ہیکونہ تہِ ہرگز کرتِ پس کیاہ فائیدہ چھُو دِل تنگ سپدنک۔ کیاہ تُہند دِلِ مُبارک چھا سپدان تنگ دشمن ہندِہ یہِ ونہ سیتِ۔ اَنْ يَّقُوْلُوْا لَوْلَآ اُنْزِلَ عَلَيْهِ كَنْزٌ اَوْ جَآءَ مَعَهٗ مَلَكٌ یمِ دشمن کیاہ چھہِ ونان۔ ہرگاہ یمِ پیغمبر آسہن تلہِ کونہ چھُو والنہ یوِان تمنِ پیٹھ خزانہ۔ یا کونہ چھُو سان تمنِ سیتِ ملک تصدیق کرنہ خیطرہ۔ یمو کتھو سیتِ مہ ہز سپدِو تہہ دِل تنگ اِنَّمَآ اَنْتَ نَذِيْرٌ وَاللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ وَّكِيْلٌ تہہ چھوِہ نہ مگر بیم کرہ ونِ لوکن اللہ تعالیٰ ای چھُو پرِیتھ چیزس پیٹھ اختیارہ وول۔ توہہِ تمیُک اختیار چھُونہ۔ لہٰذا کیا زِہ چھوِہ اَمہِ سببہ غمگین اَمْ يَقُوْلُوْنَ افْتَرٰىهُ کیاہ یمِ دشمن چھاونان کہ یہِ قرآنِ مجید چھُو یمو یعنی حضرتِ محمدّن صلی اللہ علیہ وسلم پنہ نی طرفہ ٹھہرووُمت قُلْ

وَّادۡعُوۡا مَنِ اسۡتَطَعۡتُمۡ مِّنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ اِنۡ كُنۡتُمۡ صٰدِقِيۡنَ ﴿١٣﴾ فَاِلَّمۡ يَسۡتَجِيۡبُوۡا لَكُمۡ فَاعۡلَمُوۡۤا اَنَّمَاۤ اُنۡزِلَ بِعِلۡمِ اللّٰهِ وَاَنۡ لَّاۤ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ‌ۚ فَهَلۡ اَنۡتُمۡ مُّسۡلِمُوۡنَ ﴿١٤﴾ مَنۡ كَانَ يُرِيۡدُ الۡحَيٰوةَ الدُّنۡيَا وَزِيۡنَتَهَا نُوَفِّ اِلَيۡهِمۡ اَعۡمَالَهُمۡ فِيۡهَا وَهُمۡ فِيۡهَا لَا يُبۡخَسُوۡنَ ﴿١٥﴾ اُولٰۤـئِكَ الَّذِيۡنَ لَيۡسَ لَهُمۡ فِى الۡاٰخِرَةِ اِلَّا النَّارُ‌ ‌ۖ وَحَبِطَ مَا صَنَعُوۡا فِيۡهَا وَبٰطِلٌ مَّا كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ ﴿١٦﴾ اَفَمَنۡ كَانَ عَلٰى

---

فَاۡتُوۡا بِعَشۡرِ سُوَرٍ مِّثۡلِهٖ مُفۡتَرَيٰتٍ تُہہ فرماۄیو کھ ہر گاہ تی چھُو تلہٕ اَنِتو تُہہٕ تہٕ دَہ سُورہ یتھی پننہٕ طرفہ بناوِتھ وَّادۡعُوۡا مَنِ اسۡتَطَعۡتُمۡ مِّنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ بیہٕ دیتو ناد مدده خیطرہ یس یس تُہہ ہیکو نادِتھ خدایس ورای۔ اِنۡ كُنۡتُمۡ صٰدِقِيۡنَ چھوے تُہہ پوزونان فَاِلَّمۡ يَسۡتَجِيۡبُوۡا لَكُمۡ فَاعۡلَمُوۡۤا اَنَّمَاۤ اُنۡزِلَ بِعِلۡمِ اللّٰهِ پس ہر گاہ تمِ کینہہ جواب وَنِ نہ توہہِ پس زانوِ تُہہ کہِ یہِ قرآن مجید چھُو نازِل کرنہ آمُت خدایہٕ سندہٕ علمہ بیہٕ تہندہٕ قدرتِ کاملہ سیتِ۔ وَاَنۡ لَّاۤ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ بیہٕ کرِو تمیگ تہٕ یقین کہِ کانہہ معبود داہ چھُونہ تس معبودِ برحقس ورای کیازِہ معبود گژھِ آسُن الوہیتہ کین صفاتن اندر کامِل۔ ہر گاہ تس ورای بیہٕ کانہہ آسہا تس آسہاتلہٕ پُور قدرت تہٕ تمہٕ پورہ قدرتہ سیتِ کرِہا سُو توہہِ قرآن مجیدُک مثل پیش کرنس اندر مدد۔ ایٖ کافِر و تُہہ سپدِو وۄنِ مثل انہٕ نس منز عاجز (لہٰذا سپُد مسئلہ توحید و رِسالت ثابت فَهَلۡ اَنۡتُمۡ مُّسۡلِمُوۡنَ کیاہ اَمہِ پتہٕ تہٕ کروہ تُہہ پڑھ کنہٕ نہٕ مَنۡ كَانَ يُرِيۡدُ الۡحَيٰوةَ الدُّنۡيَا وَزِيۡنَتَهَا یس اکھاہ پننہ نیور ژو عملو اَندرہ محض دنیاچہِ زندگی ہُند فایدہ تُلن یژھِ بیہٕ تمہٕ چی آرائش حاصِل کرن یژھِ، شہرت ہش، نیکنامی ہش عزت و جاہ ہیو۔ آخرت حاصِل کرنچ آس نہ تس نیتھی نُوَفِّ اِلَيۡهِمۡ اَعۡمَالَهُمۡ فِيۡهَا وَهُمۡ فِيۡهَا لَا يُبۡخَسُوۡنَ ادہ اَسِ دِمَو پورہ تمنِ عملن ہنز مزورِ دنیاہ س اندر۔ تمنِ بیہٕ نہ تتھ اندر کُنہِ قسمہِ کمی کرنہ اُولٰۤـئِكَ الَّذِيۡنَ لَيۡسَ لَهُمۡ فِى الۡاٰخِرَةِ اِلَّا النَّارُ تیٚ لُوکھ گیٚ تمِ تمن نہ آخر تس اندر کینہہ تہٕ آسہِ نارہ ورای وَحَبِطَ مَا صَنَعُوۡا فِيۡهَا بیہٕ گژھِ ضائع تہٕ سورُوی یہ تمِ کران آسِ رژو کامیو اَندرہ دُنیاہ س اندر

بَيِّنَةٍ مِّن رَّبِّهٖ وَيَتْلُوهُ شَاهِدٌ مِّنْهُ وَمِن قَبْلِهٖ كِتٰبُ مُوسٰٓى
إِمَامًا وَّرَحْمَةً ؕ أُولٰٓئِكَ يُؤْمِنُونَ بِهٖ ؕ وَمَن يَّكْفُرْ بِهٖ مِنَ
الْأَحْزَابِ فَالنَّارُ مَوْعِدُهٗ ۚ فَلَا تَكُ فِي مِرْيَةٍ مِّنْهُ ۚ إِنَّهُ الْحَقُّ
مِن رَّبِّكَ وَلٰكِنَّ أَكْثَرَ النَّاسِ لَا يُؤْمِنُونَ ﴿۱۷﴾ وَمَنْ أَظْلَمُ
مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا ؕ أُولٰٓئِكَ يُعْرَضُونَ عَلٰى رَبِّهِمْ

---

وَبٰطِلٌ مَّا كَانُوا يَعْمَلُونَ بیہِ گژھہ تہِ سورُوی خراب تہ تباہ، یہِ تمِ کران آسِ رژو عملو اندرہ۔ کیازِہ نیّت تھنز آسِ خراب أَفَمَن كَانَ عَلٰى بَيِّنَةٍ مِّن رَّبِّهٖ وَيَتْلُوهُ شَاهِدٌ مِّنْهُ کیاہ مُنکرِ قرآن کریا برابری لَس شخص سیت یُس قرآن مجیدس پیٹھ قائیم روزِت آسہِ یُس قرآن مجید تھندِس پروردگارہِ سندِہ طرفہ ووتمت چھُو۔ بیہِ چھُویتھہ قرآن مجیدس سیتِ امہ کسِ حق تہ پوز آسنس پیٹھ گواہ تہِ۔ سُو گو تمیُک فصیح وبلیغ آسُن تمہِ درجہ کہِ لُوکھ چھہِ تمکہِ مقابلہ کرنہ نشہِ عاجزِ۔ یہِ گیہِ دلیل عقلی وَمِن قَبْلِهٖ كِتٰبُ مُوسٰٓى إِمَامًا وَّرَحْمَةً بیہِ چھہَ امہ برونٹھ اکھ کِتاباہ یُوسہ حضرتِ موسیٰؑ اس پیٹھ نازِل سپز مژ چھہَ اَمچہِ گواہی ہندِہ خیطرہ موجود۔ یُوسہ کِتاب احکام بیان کرنکہِ اعتبارہ امام چھہَ۔ تمنِ احکامن پیٹھہ یُس اجر و ثواب حاصِل سپدہ تمہِ اعتبارہ چھہَ رحمت۔ یہِ گیٔیہ دلیلِ نقلی۔ یموی دُو شوی دلیلو سیتِ سپُد ثابت قرآن مجیدُک پوز تہ صحیح آسُن أُولٰٓئِكَ يُؤْمِنُونَ بِهٖ یم لُوکھ تمن ہنز ذکر کرنہ آیہِ چھہِ اتھ قرآن مجیدس پژھ کران وَمَن يَّكْفُرْ بِهٖ مِنَ الْأَحْزَابِ بیٖمِ لُوکھ قرآن مجیدس اِنکار چھہِ کران بیو فرقو یعنی کافِر وٕ اندرہ فَالنَّارُ مَوْعِدُهٗ پس نار جہنم چھُو تھندِہ واتنچ جای۔ پس کتھہ پاٹھہ ہیکہِ قرآن مجیدس پژھ کرہ وٕن برابر آستھہ۔ فَلَا تَكُ فِي مِرْيَةٍ مِّنْهُ پس مہ آس ژہ ای مخاطِب امہِ کسِ شکس اندر واقع سپدہ وٕن إِنَّهُ الْحَقُّ مِن رَّبِّكَ بیشک یہِ چھہ پز کِتاب یُوسہ چانس پروردگارہ سندِ طرفہ واژمژ چھہَ وَلٰكِنَّ أَكْثَرَ النَّاسِ لَا يُؤْمِنُونَ مگر باوجودِ آں چھہِ وارِیاہ لُوکھ یم نہ اَتھ پژھ کران چھہِ وَمَنْ أَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا بیہِ کہُہ اکھ چھُو بڈ ظالِم لَس شخصہ سندِہ خوتہ تمِ اپز نوورو وٕ کُنسِ خدایس پیٹھ، توحیدس،

وَيَقُولُ الْأَشْهَادُ هَٰؤُلَاءِ الَّذِينَ كَذَبُوا عَلَىٰ رَبِّهِمْ ۚ أَلَا لَعْنَةُ اللَّهِ عَلَى الظَّالِمِينَ ﴿١٨﴾ الَّذِينَ يَصُدُّونَ عَن سَبِيلِ اللَّهِ وَيَبْغُونَهَا عِوَجًا وَهُم بِالْآخِرَةِ هُمْ كَافِرُونَ ﴿١٩﴾ أُولَٰئِكَ لَمْ يَكُونُوا مُعْجِزِينَ فِي الْأَرْضِ وَمَا كَانَ لَهُم مِّن دُونِ اللَّهِ مِنْ أَوْلِيَاءَ ۘ يُضَاعَفُ لَهُمُ الْعَذَابُ ۚ مَا كَانُوا يَسْتَطِيعُونَ السَّمْعَ وَمَا كَانُوا يُبْصِرُونَ ﴿٢٠﴾ أُولَٰئِكَ الَّذِينَ

---

قرآن مجیدس، رسولِ کریمس صلی اللہ علیہ وسلمس اِنکار کرنہ سیت اُولٰٓئِکَ یُعْرَضُوْنَ عَلٰی رَبِّھِمْ تِمے کیاہ ینِ پنہ نِس پروردگارس برونٹھ کُن انہ مفتری آسنکہِ حیثیتہ وَیَقُوْلُ الْاَشْھَادُ ھٰٓؤُلَآءِ الَّذِیْنَ کَذَبُوْا عَلٰی رَبِّھِمْ تمی ساتہ کیاونن گواہ یعنی تمِ ملایکہ یم لوکن ہندین اعمالن پیٹھ گواہ چھہ تِمے لُوکھ کیا گئے یمو اپز نوروو، اپزہ کتھہ لاجھ پنہ نِس پروردگارس پیٹھ اَلَا لَعْنَۃُ اللّٰہِ عَلَی الظّٰلِمِیْنَ ساری بُوزِوارہ کہ یتھنی ظالمن پیٹھ چھہ خدایہ سنز زیادہ لعنت اَلَّذِیْنَ یَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِیْلِ اللّٰہِ وَیَبْغُوْنَھَا عِوَجًا تِم یانہ کافر تہ ظالِم آسِتھ بیَن لوکن آسِ خدایہ سنزِ وتہِ نشہِ پتھ رٹان۔ بیہ آسِ تلاش کران تتھ وتہِ منز گوڑھ ظاہر سپدن کانہہ ہجراہ وَھُمْ بِالْاٰخِرَۃِ ھُمْ کٰفِرُوْنَ بیہ آس تمِ آخرتس تہِ اِنکار کران اُولٰٓئِکَ لَمْ یَکُوْنُوْا مُعْجِزِیْنَ فِی الْاَرْضِ یمِ لوک ہیکن نہ تنگ انِتھ اورہ یورُ ژلتھہ تمام رویِ زمینس اندر۔ یمہِ ساتہ تمن گرفتاری ہُند وقت واتہِ وَمَا کَانَ لَھُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰہِ مِنْ اَوْلِیَآءَ بیہ آسہ نہ تمن خدایس ورای کانہہ دوستاہ یس مؤکلاوِتھ ہیکہِ ہکھ یُضٰعَفُ لَھُمُ الْعَذَابُ یمن بیہ کرنہ یمن ہندِ ہ خوتہ دوگن عذاب۔ اکھ پنہ گمراہی ہُند بیہ بین لوکن گمراہ کرہ نک۔ مَا کَانُوْا یَسْتَطِیْعُوْنَ السَّمْعَ وَمَا کَانُوْا یُبْصِرُوْنَ آسنہ تمِ سخت نفرتہ کنِ پژن کتھن گن تھاوان تہ بُوزِت ہیکان۔ بیہ آسِنہ تمنِ سخت عنادہ کہِ سببہ سیز وَتھ یوان درنیٹھ اُولٰٓئِکَ الَّذِیْنَ خَسِرُوْٓا اَنْفُسَھُمْ وَضَلَّ عَنْھُمْ مَّا کَانُوْا یَفْتَرُوْنَ تِمے لوکھ کیا گئے تم یمو نقصان کور پنہ نین پانن بیہ راوہ تمنِ

خَسِرُوْٓا اَنْفُسَهُمْ وَضَلَّ عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ ﴿٢١﴾ لَا جَرَمَ اَنَّهُمْ فِی الْاٰخِرَةِ هُمُ الْاَخْسَرُوْنَ ﴿٢٢﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَاَخْبَتُوْٓا اِلٰى رَبِّهِمْ ۙ اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ ۚ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٢٣﴾ مَثَلُ الْفَرِيْقَيْنِ كَالْاَعْمٰى وَالْاَصَمِّ وَالْبَصِيْرِ وَالسَّمِيْعِ ؕ هَلْ يَسْتَوِيٰنِ مَثَلًا ؕ اَفَلَا تَذَكَّرُوْنَ ﴿٢٤﴾ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا نُوْحًا اِلٰى قَوْمِهٖٓ اِنِّیْ لَكُمْ نَذِيْرٌ مُّبِيْنٌ ﴿٢٥﴾ اَنْ لَّا تَعْبُدُوْٓا اِلَّا اللّٰهَ ؕ اِنِّیْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ اَلِيْمٍ ﴿٢٦﴾ فَقَالَ الْمَلَاُ الَّذِيْنَ

---

تمہِ سارے کتھہ، یمہِ ٹھہراوان آسِ بیہِ تمِ ساری معبوٗدان باطِل یمن پرستش کران آسِ۔ ونکین آکھنہ کانہہ تہِ بکار لَا جَرَمَ اَنَّهُمْ فِی الْاٰخِرَةِ هُمُ الْاَخْسَرُوْنَ لازمی چھہ یہ کتھہ کہِ سارِوی اَندرہ چھہِ تیمے یقیناً سیٹھاہ تاوان زد اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَاَخْبَتُوْٓا اِلٰى رَبِّهِمْ بیشک یمو لوکو ایمان اُون بیہِ کریکھ رٕژہ عملہ، بیہِ کوٗرکھ رجوع عاجزی سان، دِلہ کنِ پننہ نِس پروردگارس کُن اُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ تیمے چھہِ جنتکِ لوکھہ تیمے روزَن تمنِ جنتن اندر ہمیشہ مَثَلُ الْفَرِيْقَيْنِ كَالْاَعْمٰى وَالْاَصَمِّ وَالْبَصِيْرِ وَالسَّمِيْعِ مثال دوشونِ جماعتن باایمانن تہِ کافِرن ہنز چھہ۔ اکھ شخصاہ چھُو اونُ تہِ زورتہِ (یہ گئیہِ کافِرہ سنز مثالِ) بیاکھ شخصاہ چھُو وچھ ڈن تہِ بوزہ ڈن تہ (یہ گئیہِ باایمانہ سنز مِثال) هَلْ يَسْتَوِيٰنِ مَثَلًا کیاہ یم دوشوٕے چھا برابری مثالہِ اندر اَفَلَا تَذَكَّرُوْنَ کیاہ تُہہ چھوِہ تمنِ دون جماژن اندر یہِ فرق زانان وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا نُوْحًا اِلٰى قَوْمِهٖٓ بیہِ سوٗزاسہِ بیشک حضرتِ نوح پننہ نِس قومس کُن اِنِّیْ لَكُمْ نَذِيْرٌ مُّبِيْنٌ ای قوم بیشک بُہ چھُس تُہندِہ خیطرہ بیم کرہ ڈن نِ پاٹھِ۔ یُہ ہے پیغام واتناوہ ڈن کہ اَنْ لَّا تَعْبُدُوْٓا اِلَّا اللّٰهَ کہِ مہ کرو کانسہِ ہنز عبادت معبوٗدِ برحقس ورای اِنِّیْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ اَلِيْمٍ بُہ چھُس کھوژان تُہندِہ خیطرہ (ہرگاہ توہہِ تس ورای کانسہِ ہنز پرستش

كَفَرُوْا مِنْ قَوْمِهٖ مَا نَرٰىكَ اِلَّا بَشَرًا مِّثْلَنَا وَمَا نَرٰىكَ
اتَّبَعَكَ اِلَّا الَّذِيْنَ هُمْ اَرَاذِلُنَا بَادِيَ الرَّاْيِ ۚ وَمَا نَرٰى
لَكُمْ عَلَيْنَا مِنْ فَضْلٍۢ بَلْ نَظُنُّكُمْ كٰذِبِيْنَ ﴿۲۷﴾ قَالَ يٰقَوْمِ اَرَءَيْتُمْ
اِنْ كُنْتُ عَلٰى بَيِّنَةٍ مِّنْ رَّبِّيْ وَاٰتٰىنِيْ رَحْمَةً مِّنْ عِنْدِهٖ
فَعُمِّيَتْ عَلَيْكُمْ ؕ اَنُلْزِمُكُمُوْهَا وَاَنْتُمْ لَهَا كٰرِهُوْنَ ﴿۲۸﴾
وَيٰقَوْمِ لَاۤ اَسْــَٔلُكُمْ عَلَيْهِ مَالًا ؕ اِنْ اَجْرِيَ اِلَّا عَلَى اللّٰهِ وَمَاۤ اَنَا

---

کروہ) کڈرہ وو ہکس عذابس سۆ گو قیامتک دوہ۔ فَقَالَ الْمَلَاُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ قَوْمِهٖ پس دۆپ جواب تمن پننہٕ قومہ کیو کافرن ہندیو زِٹھیو مَا نَرٰىكَ اِلَّا بَشَرًا مِّثْلَنَا اَسہِ چھُو کھنہ ژٕہ بوزنہ یوانِ مگر اَسی ہیوٗ انساناہ۔ سانہ خوتہ چھا ژِ یہ اندر کانہہ فضیلتاہ وَمَا نَرٰىكَ اتَّبَعَكَ اِلَّا الَّذِيْنَ هُمْ اَرَاذِلُنَا بیہ چھنہٕ اَسِ وچھان چانِ پیروکار مگر تِمے یِم بونمہٕ درجکِ لوکھ چھہ۔ بَادِيَ الرَّاْيِ یِموتأمل کرنہ ورای جلد جلد چانِ پیروی قبول کر وَمَا نَرٰى لَكُمْ عَلَيْنَا مِنْ فَضْلٍۢ بیہ چھنہٕ لبان اَسِ توہہٕ تہٕ تُہندین پیروکارن کانہہ فضیلتاہ پانس پیٹھہ بَلْ نَظُنُّكُمْ كٰذِبِيْنَ بلکہٕ چھہٕ اَسِ توہہٕ زانان اپزِ زیرٕ قَالَ يٰقَوْمِ اَرَءَيْتُمْ اِنْ كُنْتُ عَلٰى بَيِّنَةٍ مِّنْ رَّبِّيْ وَاٰتٰىنِيْ رَحْمَةً مِّنْ عِنْدِهٖ حضرتِ نوحن دوپھ ای میانہٕ قومہ مہٕ ونتوٗہہ ہرگاہ بو آسہ پننہٕ رٕبس پروردگارہ سنزٕ ہنہٕ دلیلہٕ پیٹھ قایم یمہٕ سیتِ میانِ نبوت آسہِ ثابت سپدان بیہ آسہِ تمِ مہٕ پنٕن بڈٕ رحمت تہٕ مہربانی عطا کرمٕژ فَعُمِّيَتْ عَلَيْكُمْ سۆ نبوت تہٕ تِمِ دلیل ییہٕ نہ توہہٕ بوزنہ تِتھ کیاہ علاج چھُو، اَسِ چھہٕ مجبوٗر اَنُلْزِمُكُمُوْهَا وَاَنْتُمْ لَهَا كٰرِهُوْنَ کیاہ اَسِ ہیکوٕ وٕ توہہٕ سۆ رحمت و مہربانی دعویٰ و دلیل زورٕ پُشر اوتھ درحالیکہ تُہہ آسو تتھ ناپسند کران وَيٰقَوْمِ لَاۤ اَسْــَٔلُكُمْ عَلَيْهِ مَالًا ای میانہٕ قومہ یہ سوچو توہہٕ ذرا کہ اگر بو نبوتک غلط دعویٰ کرہا تتھ منز آسہا مہٕ کانہہ مطلباہ۔ تہٕ گو یتھُوی ہیوٗکہٕ تمکہٕ ذریعہ کرہا بو مال و دولت جمع یہٕ کتھ چھہٕ توہہٕ معلوم کہٕ بو چھُس نہ منگان توہہٕ یتھ تبلیغ کرنس پیٹھ، صحیح وتھ ہاونس پیٹھ، کانہہ مالاہ، کُنہٕ قسمہٕ مُزوریاہ کیازٕ اِنْ اَجْرِيَ اِلَّا عَلَى اللّٰهِ

بِطَارِدِ الَّذِينَ آمَنُوا إِنَّهُم مُّلَاقُوا رَبِّهِمْ وَلَٰكِنِّي أَرَاكُمْ قَوْمًا تَجْهَلُونَ ﴿٢٩﴾ وَيَا قَوْمِ مَن يَنصُرُنِي مِنَ اللَّهِ إِن طَرَدتُّهُمْ أَفَلَا تَذَكَّرُونَ ﴿٣٠﴾ وَلَا أَقُولُ لَكُمْ عِندِي خَزَائِنُ اللَّهِ وَلَا أَعْلَمُ الْغَيْبَ وَلَا أَقُولُ إِنِّي مَلَكٌ وَلَا أَقُولُ لِلَّذِينَ تَزْدَرِي أَعْيُنُكُمْ لَن يُؤْتِيَهُمُ اللَّهُ خَيْرًا ۖ اللَّهُ أَعْلَمُ بِمَا فِي أَنفُسِهِمْ ۖ إِنِّي إِذًا لَّمِنَ الظَّالِمِينَ ﴿٣١﴾ قَالُوا يَا نُوحُ قَدْ جَادَلْتَنَا فَأَكْثَرْتَ جِدَالَنَا

---

وَمَا أَنَا بِطَارِدِ الَّذِينَ آمَنُوا بیہ ہیکہ نہ بوبا ایمان پانس نشہٕ الگ تراوِتھ گُنہ صورتس منز۔ إِنَّهُم مُّلَاقُوا رَبِّهِمْ پزپاٹھِ تِم چھِ ملاقات کرہ وِنِ پنہٕ نِس پروردگارس سیتِ باعزّت صورتس اندر۔ لہٰذا چھِ مقربانِ دربارِ الٰہی۔ بوتھہٕ پاٹھِ ہیکہ تِم پانس نشہٕ الگ کرِتھ مگر میانِ مزور چھنہٕ کانسہٕ مٔنہ مگر خدایسی وَلَٰكِنِّي أَرَاكُمْ قَوْمًا تَجْهَلُونَ مگر بوچھُسوہ تُہہٕ وُچھان جماتھاہ نادانی ہنزہ کتھ کران وَيَا قَوْمِ مَن يَنصُرُنِي مِنَ اللَّهِ إِن طَرَدتُّهُمْ ای میانہٕ قومہٕ اگر بالفرض والتقدیر یُو تِم بو نِمہٕ درجکِ لُوکھ تِموِ میانس نبوتس پڑھ کرِ پانس نشہٕ دور کرِکھ تتھ صورتس اندر کُوہ اکھاہ بچاوِہ مہٕ تہٕ مدد کرِہ مہٕ خدایہٕ سندِہ گرفتہٕ نشہٕ أَفَلَا تَذَكَّرُونَ کیازہ چھوِہ نہٕ تُہہٕ غور کران وَلَا أَقُولُ لَكُمْ عِندِي خَزَائِنُ اللَّهِ بیہٕ چھُس نہٕ بوتوہہٕ ونان زِ مہٕ نشہٕ چھِ خدایہٕ سندِ ساری خزانہ موجود وَلَا أَعْلَمُ الْغَيْبَ بیہٕ چھُس نہٕ بودعویٰ کران غیب زانہٕ نک وَلَا أَقُولُ إِنِّي مَلَكٌ بیہٕ چھُس نہٕ بو ونان بوچھُس ملک وَلَا أَقُولُ لِلَّذِينَ تَزْدَرِي أَعْيُنُكُمْ لَن يُؤْتِيَهُمُ اللَّهُ خَيْرًا ۔بیہٕ چھُس نہٕ بوتِمنِ لُوکن ہندِہ حقہٕ تِمنِ تُہہٕ نِچہٕ نظرہ وُچھان چھوِہ تِمنِ کیا کرہ نہٕ اللہ تعالیٰ پنن خیر عطا۔ اللَّهُ أَعْلَمُ بِمَا فِي أَنفُسِهِمْ اللہ تعالیٰ سی چھہٕ خبر تہندین دِلن ہنز إِنِّي إِذًا لَّمِنَ الظَّالِمِينَ ہرگاہ بو تُہہٕ کتھہٕ کرہ تلہٕ چھُس بو ظالمو اندرہ کیازہ بے دلیل یس کانہہ کتھاہ کرِہ سُو چھُو ظالِم۔ یلہٕ تِم سارنی کتھن اندر لاجواب گئے قَالُوا يَا نُوحُ قَدْ جَادَلْتَنَا فَأَكْثَرْتَ جِدَالَنَا فَأْتِنَا بِمَا تَعِدُنَا دپنہٕ لگِ تِم ای نوح ژہٕ کور تہٕ اَسہٕ سیتِ بحث۔ سُوی کورُتھ واریاہ بحث۔ وُنہٕ تراوِ بحث۔

فَأْتِنَا بِمَا تَعِدُنَآ إِن كُنتَ مِنَ ٱلصَّٰدِقِينَ ﴿٣٢﴾ قَالَ إِنَّمَا يَأْتِيكُم بِهِ ٱللَّهُ إِن شَآءَ وَمَآ أَنتُم بِمُعْجِزِينَ ﴿٣٣﴾ وَلَا يَنفَعُكُمْ نُصْحِىٓ إِنْ أَرَدتُّ أَنْ أَنصَحَ لَكُمْ إِن كَانَ ٱللَّهُ يُرِيدُ أَن يُغْوِيَكُمْ ۚ هُوَ رَبُّكُمْ وَإِلَيْهِ تُرْجَعُونَ ﴿٣٤﴾ أَمْ يَقُولُونَ ٱفْتَرَىٰهُ ۖ قُلْ إِنِ ٱفْتَرَيْتُهُۥ فَعَلَىَّ إِجْرَامِى وَأَنَا۠ بَرِىٓءٌ مِّمَّا تُجْرِمُونَ ﴿٣٥﴾ وَأُوحِىَ إِلَىٰ نُوحٍ أَنَّهُۥ لَن يُؤْمِنَ مِن قَوْمِكَ إِلَّا مَن قَدْ ءَامَنَ فَلَا تَبْتَئِسْ بِمَا كَانُوا۟ يَفْعَلُونَ ﴿٣٦﴾ وَٱصْنَعِ ٱلْفُلْكَ بِأَعْيُنِنَا وَوَحْيِنَا

وونِ اَن ژہ سُو عذاب یمیُک خوف ژہ اَسہِ دِوان چھُو کھ إِن كُنتَ مِنَ ٱلصَّٰدِقِينَ ہر گاہ ژہ پوزونان چھُوکھہ۔ قَالَ إِنَّمَا يَأْتِيكُم بِهِ ٱللَّهُ إِن شَآءَ وَمَآ أَنتُم بِمُعْجِزِينَ حضرتِ نوحن دوپھہ سُو عذاب ہیکہِ نہ اَنِتھ کانہہ تہِ خدایس ورای۔ ہر گاہ سُو یژھِ تیلہِ ہیکیُون نہ تُہہ سُو عاجز اَنِتھ وَلَا يَنفَعُكُمْ نُصْحِىٓ إِنْ أَرَدتُّ أَنْ أَنصَحَ لَكُمْ إِن كَانَ ٱللَّهُ يُرِيدُ أَن يُغْوِيَكُمْ بیہِ دِیہِ نہ توہہِ کانہہ نفع میانِ نصیحت ہر گاہ بو توہہ نصیحت کرہ نُک ارادہ تہِ کرہ۔ ہر گاہ اللہ تعالیٰ سُند ارادہ تِہٕ گمراہ کرنُکوی آسہِ هُوَ رَبُّكُمْ وَإِلَيْهِ تُرْجَعُونَ سُو چھُو تہُند مالِک تس کُن اِیو تُہہ واتناونہ أَمْ يَقُولُونَ ٱفْتَرَىٰهُ تِم مکُک لوک تہِ چھِ ونان حضرتِ محمدن ٹھرووپنہِ طرفہ یہِ قرآنِ مجید قُلْ تِہٕ فرماویُٔکھ یا رسُول اللہ إِنِ ٱفْتَرَيْتُهُۥ فَعَلَىَّ إِجْرَامِى وَأَنَا۠ بَرِىٓءٌ مِّمَّا تُجْرِمُونَ ہر گاہ بالفرض یہِ مےِ ٹھرووُمت آسہِ توتہِ چھُو سُو جُرم مے پیٹھ۔ تِہٕ چھوِہ تمہِ جُرمہ نشہِ بَری۔ یُوتہِ چھُوس تموٗ جُرموٗ نشہِ بَری یم تِہٕ کران چھوِہ وَأُوحِىَ إِلَىٰ نُوحٍ أَنَّهُۥ لَن يُؤْمِنَ مِن قَوْمِكَ إِلَّا مَن قَدْ ءَامَنَ فَلَا تَبْتَئِسْ بِمَا كَانُوا۟ يَفْعَلُونَ بیہِ آووحی سوزنہ حضرتِ نُوحس کُن کہ پژھہ کرن نہ توہہِ ہرگز پننہ قومہ اَندرہ مگر تِتی لوکھ یموونکتام پژھہ کرِمُت مہ کھیو تِہٕ غم تمنِ چیزن ہُندِ یم چیز تکلیف، ٹھٹھہ مسخرہ گی) یم کران آسِ توہہِ نسبت۔ چونکہِ سون ارادہ چھُو ونِ

وَلَا تُخَاطِبْنِي فِي الَّذِينَ ظَلَمُوا ۚ إِنَّهُم مُّغْرَقُونَ ﴿۳۷﴾ وَيَصْنَعُ الْفُلْكَ وَكُلَّمَا مَرَّ عَلَيْهِ مَلَأٌ مِّن قَوْمِهِ سَخِرُوا مِنْهُ ۚ قَالَ إِن تَسْخَرُوا مِنَّا فَإِنَّا نَسْخَرُ مِنكُمْ كَمَا تَسْخَرُونَ ﴿۳۸﴾ فَسَوْفَ تَعْلَمُونَ مَن يَأْتِيهِ عَذَابٌ يُخْزِيهِ وَيَحِلُّ عَلَيْهِ عَذَابٌ مُّقِيمٌ ﴿۳۹﴾ حَتَّىٰ إِذَا جَاءَ أَمْرُنَا وَفَارَ التَّنُّورُ قُلْنَا احْمِلْ فِيهَا مِن كُلٍّ زَوْجَيْنِ اثْنَيْنِ وَأَهْلَكَ إِلَّا مَن سَبَقَ عَلَيْهِ الْقَوْلُ

---

تمِ غرق کرن تہٕ ژٕونِ آبَس اندر۔ ووٕنِ چھُو طوفان یِنہٕ وول لہٰذا تمہِ طُوفانہٕ نشہِ بچنہٕ خیطرٕ وَاصْنَعِ الْفُلْكَ بِأَعْيُنِنَا وَوَحْيِنَا بناوو تہٕ ناوسانہِ نگرانی اندر بیہٕ سانیو تجویز و مطابق تمی ناوِ ہندٕ ذریعہ لبِو نجات۔ تہٕ تہِ باقی باایمان تہٕ وَلَا تُخَاطِبْنِي فِي الَّذِينَ ظَلَمُوا إِنَّهُم مُّغْرَقُونَ یہٕ بوزِو وارہ کہِ مہِ سیتِ گژھہِ نہ کانہہ کتھ کرنِ تمنِ لوکن ہندٕ حقہٕ یمو ظُلم کور کُفرٕ تہٕ شرکہ سیت۔ کیازہ تمنِ چھُو ضرور یتھ طوفانس اندر غرق گژھُن تہٕ پھٹُن۔ وَيَصْنَعُ الْفُلْكَ امہِ پتہٕ ہیوت حضرتِ نوحن ناوِ ہُند سامانہٕ جمع کرن۔ تو پتہٕ ہیُتھ سوٗ ناوٕ گرنِ وَكُلَّمَا مَرَّ عَلَيْهِ مَلَأٌ مِّن قَوْمِهِ سَخِرُوا مِنْهُ یمہِ یمہِ ساتہٕ پکان آس رٔیسین ہنز کانہہ جماتھ تہندٕ قومہٕ منزٕ امہِ جایہِ کن یتھ جایہِ یہٕ ناوٕ تمِ گران آسِ تمِ آسِ اتھ اہندِس ناوٕ گرنس پیٹھ ٹھٹھہٕ کران۔ دپان آسکھ پیٖغمبر آسکھ بنے وہ ووٕنِ تہٕ چھان قَالَ إِن تَسْخَرُوا مِنَّا فَإِنَّا نَسْخَرُ مِنكُمْ كَمَا تَسْخَرُونَ تمِ آسکھ دپان ہرگاہ تہٕ اَسہِ ٹھٹھہٕ کران چھِوٕ موقعہ وٲتہِ اَسِ تہٕ کرو وہ توہہِ ٹھٹھہٕ یتھ پاٹھِ تہٕ ٹھٹھہٕ کران چھِوٕ فَسَوْفَ تَعْلَمُونَ مَن يَأْتِيهِ عَذَابٌ يُخْزِيهِ وَيَحِلُّ عَلَيْهِ عَذَابٌ مُّقِيمٌ برونٹھ پکھن زانِو تہٕ پانے کس ایہِ سُو عذاب یُس تس خوار کرِ دُنیائس اندر بیہٕ کس پیٹھ سپدِ ہمیشہ روزہٕ وُن عذاب نازِل حَتَّىٰ إِذَا جَاءَ أَمْرُنَا تا اینکہ یمہِ ساتہٕ جاری سپُد سون حُکم عذابس متعلق وَفَارَ التَّنُّورُ آب دراو دزہٕ ونہِ تنوٗرٕ منزٕ یہٕ اُوس نشانہ تہٕ علامت طوفانکہِ شروع سپد نک قُلْنَا احْمِلْ فِيهَا اَسہِ فرموو حضرتِ نوٗحس کھاریُوکھ اتھ ناوِ منز مِن كُلٍّ زَوْجَيْنِ اثْنَيْنِ

وَمَنْ اٰمَنَ ؕ وَمَآ اٰمَنَ مَعَهٗۤ اِلَّا قَلِيْلٌ ۝٤٠ وَقَالَ ارْكَبُوْا فِيْهَا بِسْمِ اللّٰهِ مَجْرٖىهَا وَمُرْسٰىهَا ؕ اِنَّ رَبِّيْ لَغَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ۝٤١ وَهِيَ تَجْرِيْ بِهِمْ فِيْ مَوْجٍ كَالْجِبَالِ ۫ وَنَادٰى نُوْحُ ۨابْنَهٗ وَكَانَ فِيْ مَعْزِلٍ يّٰبُنَيَّ ارْكَبْ مَّعَنَا وَلَا تَكُنْ مَّعَ الْكٰفِرِيْنَ ۝٤٢ قَالَ سَاٰوِيْۤ اِلٰى جَبَلٍ يَّعْصِمُنِيْ مِنَ الْمَآءِ ؕ قَالَ لَا عَاصِمَ الْيَوْمَ مِنْ اَمْرِ

---

ساروي جاندار واندره زيز ٢ زيز ٢ نر ته ماده **وَاَهْلَكَ اِلَّا مَنْ سَبَقَ عَلَيْهِ الْقَوْلُ** بيه کارِ و پنُن عيالته مگر نه سُويس پيٹھ غرق سپد نک حُکم جاري سپد مُت پڅو۔ تم گئے اکھ تهنز گرواجن بيه کنعان نچو تهند۔ **وَمَنْ اٰمَنَ** بيه کهاريو کهاته ناوِه تم ساري يمو ايمان اُونمت پڅو **وَمَآ اٰمَنَ مَعَهٗۤ اِلَّا قَلِيْلٌ** مگر پڑھ آس نه کر مژتمن مگر کموي لُوکو (تمِ آسِ شتهٕ زنِ۔ وننه پڅو آمُت کُل آسِ ناوِه منز شيته زنِ۔ ژتجهِ مرد، ژتجهِ زنانه **وَقَالَ ارْكَبُوْا فِيْهَا** بيه دُپِه حضرتِ نوحن وٗلو کهسوِيتهٕ ناوه پروامهٕ برِوکنهٕ طُوفانک **بِسْمِ اللّٰهِ مَجْرٖىهَا وَمُرْسٰىهَا** خدايه سندي ناوه سيتِ پڅو امهِ ناوِه هُند پکن بيه اميک ٹھہرُن۔ **اِنَّ رَبِّيْ لَغَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ** پزپاٹهِ ميون پروردگار پڅو ضرور سيٹهاه مغفرت کره ڈن۔ سُو پڅو پننهٕ رحمته سيتِ گُناه ته بخشهِ ڈن، بيه راچهِ کره ڈن۔ غرق سپد نه نشهِ نجات دِوه ڈن۔ **وَهِيَ تَجْرِيْ بِهِمْ فِيْ مَوْجٍ كَالْجِبَالِ** بيه آس سُو ناو پکان تمِ هيته تموٚ موجو ته ملرِو منز يم کوهَن برابر آسِ **وَنَادٰى نُوْحُ ۨابْنَهٗ وَكَانَ فِيْ مَعْزِلٍ** آلو دُيت حضرتِ نُوحن پنجوٚس پننِس (کنعانس) سُو اوس ناوِه نشهِ نيبر الگ اکس جايه پيٹھ کافرِ آسنه مُوکهه اُوس نه ناوِه پيٹھ سوار آمُت کرنه **يّٰبُنَيَّ ارْكَبْ مَّعَنَا وَلَا تَكُنْ مَّعَ الْكٰفِرِيْنَ** اي سانهِ ٹاٹھهِ گوبره۔ ڈوله سوار سپد اسهِ سيتِ ناوِه منز۔ مه روز کافرن سيتِ ايمان اَن ته ناوِه منز کهس **قَالَ سَاٰوِيْۤ اِلٰى جَبَلٍ يَّعْصِمُنِيْ مِنَ الْمَآءِ** سُو لوگ دپنهِ بو کهسه کُنهِ کوهس پيٹھ، سُوي رَچهِ مه يمهِ آبه نشهِ کيازِه آب اوس نه ونهِ زياده تهُد يومُت **قَالَ** حضرت نوحن دوپُس **لَا عَاصِمَ الْيَوْمَ مِنْ اَمْرِ اللّٰهِ اِلَّا مَنْ رَّحِمَ** از هيکهِ نه کانهه چيز رچهِته خدايه سندِه عذابه نشهِ مگر روزِه محفوظ سُوي شخص يس پيٹھ سُوي پروردگار رحم کرِه

اللّٰهِ اِلَّا مَنْ رَّحِمَ ۚ وَحَالَ بَيْنَهُمَا الْمَوْجُ فَكَانَ مِنَ الْمُغْرَقِيْنَ ﴿۴۳﴾ وَقِيْلَ يٰۤاَرْضُ ابْلَعِيْ مَآءَكِ وَيٰسَمَآءُ اَقْلِعِيْ وَغِيْضَ الْمَآءُ وَقُضِيَ الْاَمْرُ وَاسْتَوَتْ عَلَى الْجُوْدِيِّ وَقِيْلَ بُعْدًا لِّلْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ ﴿۴۴﴾ وَنَادٰى نُوْحٌ رَّبَّهٗ فَقَالَ رَبِّ اِنَّ ابْنِيْ مِنْ اَهْلِيْ وَاِنَّ وَعْدَكَ الْحَقُّ وَاَنْتَ اَحْكَمُ الْحٰكِمِيْنَ ﴿۴۵﴾ قَالَ يٰنُوْحُ اِنَّهٗ لَيْسَ مِنْ اَهْلِكَ ۚ اِنَّهٗ عَمَلٌ غَيْرُ صَالِحٍ ۖ فَلَا

---

ایمانکہِ برکتہ۔ وَحَالَ بَيْنَهُمَا الْمَوْجُ فَكَانَ مِنَ الْمُغْرَقِيْنَ تِم آسِ گتھ باتھی کران کہِ یِمَنِ منز آو آبُک ملراہ اکھ۔ پَس سپُد سُو کنعان پھٹہ ونیو اَندرہ۔ چنانچہِ کافرن سیتِ پھُوٹ وَقِيْلَ حکم آو کرنہ زمینس تہ آسمانس يٰۤاَرْضُ ابْلَعِيْ مَآءَكِ ای زمینہ نیٖگل پنُن آب وَيٰسَمَآءُ اَقْلِعِيْ ای آسمانہ بند کرپنُن رُود تہ بارِش وَغِيْضَ الْمَآءُ اَتی ہیوٗتن آب وسُن تہ کم گژھن وَقُضِيَ الْاَمْرُ کوم سپز پُورہ۔ قصہٕ سپُد ختم یعنی نافرمانن ہنز تباہی وَاسْتَوَتْ عَلَى الْجُوْدِيِّ بیہِ لجِ ناو کوہِ جودیس سیت۔ وَقِيْلَ بُعْدًا لِّلْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ بیہِ آو ونہِ کافرِ چھہِ خدایہِ سندِہ رحمتہ نشہِ دُور وَنَادٰى نُوْحٌ رَّبَّهٗ بیہِ مُونگ حضرتِ نُوحن پروردگارس پنہ نسِ کنعانہ سندِہ غرق سپدنہ برونٹھ فَقَالَ رَبِّ پَس مُونگنس ای میانہِ پروردگارہ اِنَّ ابْنِيْ مِنْ اَهْلِيْ پزپاٹھِ میون نیچوتہِ چھُو میانہِ اہل وعیالہ منزہ۔ ژہِ چھُتھم وعدہ کورمُت عیالکہُ بچاؤک۔ تِم باایمان آسَن۔ اگرچہِ کنعان نجاتس مستحق چھُونہ مُومن نہ آسنہ مُوکھہ وَاِنَّ وَعْدَكَ الْحَقُّ چون وعدہ چھُو پوز تہ حق وَاَنْتَ اَحْكَمُ الْحٰكِمِيْنَ بیہِ چھُوک ژہ سارِوی اَندرہ بوڑ حاکمِ کامِل اختیارہ وول۔ ہرگاہ ژہ یژھکھ تس کرکھ ایمان عطا۔ تاکہِ سُو تہِ لبہِ نجات طُوفانہ نشہِ قَالَ يٰنُوْحُ اِنَّهٗ لَيْسَ مِنْ اَهْلِكَ اللہ تعالیٰ اَن فرمُووس ای نُوح میانسِ علمِ ازلیّس اندر چھُونہ کنعان ہرگزِ چانہِ اہل وعیالہ منزہ تِم ایمان اَنتھ مستحق نجات سپدن اِنَّهٗ عَمَلٌ غَيْرُ صَالِحٍ بلکہِ چھُو سُو آخر تس تانِ تباہ کار حالتِ کُفرس پیٹھ روزہ ؤن فَلَا تَسْـَٔلْنِ مَا لَيْسَ لَكَ بِهٖ عِلْمٌ پَس مہ کرِو

تَسْـَٔلْنِ مَا لَیْسَ لَكَ بِهٖ عِلْمٌ ؕ اِنِّیْۤ اَعِظُكَ اَنْ تَكُوْنَ مِنَ الْجٰهِلِیْنَ ﴿۴۶﴾ قَالَ رَبِّ اِنِّیْۤ اَعُوْذُ بِكَ اَنْ اَسْـَٔلَكَ مَا لَیْسَ لِیْ بِهٖ عِلْمٌ ؕ وَ اِلَّا تَغْفِرْ لِیْ وَ تَرْحَمْنِیْۤ اَكُنْ مِّنَ الْخٰسِرِیْنَ ﴿۴۷﴾ قِیْلَ یٰنُوْحُ اهْبِطْ بِسَلٰمٍ مِّنَّا وَ بَرَكٰتٍ عَلَیْكَ وَ عَلٰۤى اُمَمٍ مِّمَّنْ مَّعَكَ ؕ وَ اُمَمٌ سَنُمَتِّعُهُمْ ثُمَّ یَمَسُّهُمْ مِّنَّا عَذَابٌ اَلِیْمٌ ﴿۴۸﴾ تِلْكَ مِنْ اَنْۢبَآءِ الْغَیْبِ نُوْحِیْهَاۤ اِلَیْكَ ۚ مَا كُنْتَ تَعْلَمُهَاۤ اَنْتَ وَ لَا قَوْمُكَ مِنْ قَبْلِ هٰذَا ۛؕ فَاصْبِرْ ۛؕ اِنَّ الْعَاقِبَةَ لِلْمُتَّقِیْنَ ﴿۴۹﴾

---

درخواست مہ نشہِ تمہِ چیزُک ییٚمِ نہ ژےٚ کینہہ خبر چھ اِنِّیْۤ اَعِظُكَ اَنْ تَكُوْنَ مِنَ الْجٰهِلِیْنَ بو چھُس ژےٚ نصیحت کران، ژٕ مہ آس نہ زٲنہ وینُو اندرٕ ییٚتھ دعا کرِتھ نادانی ہُوت قَالَ رَبِّ اِنِّیْۤ اَعُوْذُ بِكَ اَنْ اَسْـَٔلَكَ مَا لَیْسَ لِیْ بِهٖ عِلْمٌ حضرتِ نُوحن دُوپ میانہِ پرورد گارہ بیشک بُو چھُس پناہ منگان ییٚتھ چیز منگنہ نشہِ ییٚمِ نہ مہ کینہہ خبر چھ واقعی کرمہ ییٚتھ چیز منگنہ سیتِ بڈ غلطی۔ اتھ غلطی کرُم بخشا ییٚش وَ اِلَّا تَغْفِرْ لِیْ وَ تَرْحَمْنِیْۤ اَكُنْ مِّنَ الْخٰسِرِیْنَ ہرگاہ نے ژٕ مغفرت تہ بخشایش تہ رحم کرکھ مہِ تلِہ سپدٕ بو نقصان تُلہ وینُو اندرٕ۔ یلہِ اَدٕ آب ہَنہِ ہَنہِ بون وو تھ قِیْلَ یٰنُوْحُ اهْبِطْ بِسَلٰمٍ مِّنَّا وَ بَرَكٰتٍ عَلَیْكَ حکم آو کرنہ ای نُوح وسِو اَمہِ ناوِ منزٕ زمینس پیٹھ سانہ طرفہ سلامتی سان تہ برکتو سان یِمہِ نازِل سپدن توہہِ پیٹھ وَ عَلٰۤى اُمَمٍ مِّمَّنْ مَّعَكَ بیہِ تمن جماعتن پیٹھ یم ژٕ سیتِ چھہ۔ تمِ گیٔ باایمان وَ اُمَمٌ سَنُمَتِّعُهُمْ ثُمَّ یَمَسُّهُمْ مِّنَّا عَذَابٌ اَلِیْمٌ بیہ تہِ آسن آیندہ کینہہ جماژ یمہِ نافرمانی تہ کفر و شرک کرن۔ یمِ تُلناوو کھ دُنیاء س اندر کینہہ کالاہ تمتع۔ تو پتہ واتہِ تمن سون کُڈر عذاب آخرتس اندر تِلْكَ مِنْ اَنْۢبَآءِ الْغَیْبِ نُوْحِیْهَاۤ اِلَیْكَ یہ قصہ چھُ غیبہ چو خبر اندرٕ وہ یمہ اَس وحیکہِ ذریعہ توہہِ نش واتناوان چھہِ مَا كُنْتَ تَعْلَمُهَاۤ اَنْتَ وَ لَا قَوْمُكَ مِنْ قَبْلِ هٰذَا توہہِ تہ تُہندِس قومس (یارسول اللہ) اُوسنہ

وَإِلَىٰ عَادٍ أَخَاهُمْ هُودًا ۚ قَالَ يَٰقَوْمِ ٱعْبُدُوا۟ ٱللَّهَ مَا لَكُم مِّنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُۥٓ ۖ إِنْ أَنتُمْ إِلَّا مُفْتَرُونَ ﴿٥٠﴾ يَٰقَوْمِ لَآ أَسْـَٔلُكُمْ عَلَيْهِ أَجْرًا ۖ إِنْ أَجْرِىَ إِلَّا عَلَى ٱلَّذِى فَطَرَنِىٓ ۚ أَفَلَا تَعْقِلُونَ ﴿٥١﴾ وَيَٰقَوْمِ ٱسْتَغْفِرُوا۟ رَبَّكُمْ ثُمَّ تُوبُوٓا۟ إِلَيْهِ يُرْسِلِ ٱلسَّمَآءَ عَلَيْكُم مِّدْرَارًا وَيَزِدْكُمْ قُوَّةً إِلَىٰ قُوَّتِكُمْ وَلَا تَتَوَلَّوْا۟

---

يه قِصّه سانهِ بيان ڪرڻ بروڄهه معلومي. امي سيتِ سپڊ معلوم تهه ڇهوءِ نبي برحق. مگر تِم لوڪ ڇهِ تهنز نبوّت ثابتِ سپدنه پته تهِ تهنز مخالفت ڪران فَاصْبِرْ لهذا ڪرِ وتهه صبر (يه قِصّه بوزِت) إِنَّ ٱلْعَٰقِبَةَ لِلْمُتَّقِينَ ـ يقين زانو ڪهِ رُت انجام ڇهو خدايس کوڙهِ وَنين هندِه خيطره. يتهه پاڻهِ تمهِ قِصّه اندره معلوم سپُد ڪهِ ڪافرن هُند انجام ڇهو خراب، مسلمانن هُند انجام ڇهو رُت يتهِ پاڻهِ سپدهِ تهندين مخالفن هُند حال. چندروزره تهندهِ مخالفتُڪ زوروشور. پتو لاڪه سپدِه غلبه پزِس ته پزيارين. تهند دشمنته سپدن بالآخر تباه و برباد وَإِلَىٰ عَادٍ أَخَاهُمْ هُودًا بيه سوزاسهِ قوم عادس گن تهنزي برادري منزه اکهه صاحب هُود عليه السلام پيغمبر قَالَ تمِو ووِن پنهِ نسِ قومس يَٰقَوْمِ اي ميانهِ قومه ٱعْبُدُوا۟ ٱللَّهَ مَا لَكُم مِّنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُۥٓ تهه ڪرِو پرستش فقط معبودِ برحقه سنزي ياڙ. تُس ورايِ ڇهونه تهند ڪانه معبود اهِيس عباد تُس لايق آسِها إِنْ أَنتُمْ إِلَّا مُفْتَرُونَ تهه ڇهوِ نه بُت پرستي سيت. خدايس ورايِ بيه ڪانه قابلِ پرستش زاننه سيتِ. مگر ليز ٹهراوهِ ونِ لمهِ ڪسِ باطل آسنس پيٹھه ڇهه دليل. يَٰقَوْمِ لَآ أَسْـَٔلُكُمْ عَلَيْهِ أَجْرًا اي ميانهِ قومه بو ڇهُوس نه توهه منگان اتهه تبليغس پيٹھه ڪانهه مزُورياه إِنْ أَجْرِىَ إِلَّا عَلَى ٱلَّذِى فَطَرَنِىٓ ميانِ مزُورِ ڇهه تَس مٹه تِم بو عدم محضه نشهِ پيده گورس أَفَلَا تَعْقِلُونَ ڪياه توهه ڇهوِه نايه گڇهه فڪرِه تران ـ وَيَٰقَوْمِ ٱسْتَغْفِرُوا۟ رَبَّكُمْ ثُمَّ تُوبُوٓا۟ إِلَيْهِ اي ميانهِ قومه تهه منگو پنهِ نسِ پروردگارس گُنهو نشهِ، ڪفرو شرڪ نشهِ بخشايش، مغفرت يعني تهه اَنو ايمان. توپته ڪرِوا ايمان اَنتهه تس گن رجوع عبادته سيتِ بيه تهنز فرمانبرداري ڪرنه سيتِ ايمان وعملِ صالحه برڪته. يُرْسِلِ ٱلسَّمَآءَ عَلَيْكُم مِّدْرَارًا تراوِه سو توهه پيٹھه، تهندس زمينس زراعتس پيٹھه گُڈُل رود. وَيَزِدْكُمْ قُوَّةً إِلَىٰ قُوَّتِكُمْ بيه هره

مُجۡرِمِیۡنَ ﴿۵۲﴾ قَالُوۡا یٰهُوۡدُ مَا جِئۡتَنَا بِبَیِّنَةٍ وَّمَا نَحۡنُ
بِتَارِکِیۡۤ اٰلِهَتِنَا عَنۡ قَوۡلِكَ وَمَا نَحۡنُ لَكَ بِمُؤۡمِنِیۡنَ ﴿۵۳﴾
اِنۡ نَّقُوۡلُ اِلَّا اعۡتَرٰىكَ بَعۡضُ اٰلِهَتِنَا بِسُوۡٓءٍ ؕ قَالَ اِنِّیۡۤ اُشۡهِدُ اللّٰهَ
وَاشۡهَدُوۡۤا اَنِّیۡ بَرِیۡٓءٌ مِّمَّا تُشۡرِکُوۡنَ ﴿۵۴﴾ مِنۡ دُوۡنِهٖ فَکِیۡدُوۡنِیۡ جَمِیۡعًا
ثُمَّ لَا تُنۡظِرُوۡنِ ﴿۵۵﴾ اِنِّیۡ تَوَکَّلۡتُ عَلَی اللّٰهِ رَبِّیۡ وَرَبِّکُمۡ ؕ مَا مِنۡ دَآبَّةٍ
اِلَّا هُوَ اٰخِذٌۢ بِنَاصِیَتِهَا ؕ اِنَّ رَبِّیۡ عَلٰی صِرَاطٍ مُّسۡتَقِیۡمٍ ﴿۵۶﴾ فَاِنۡ

---

راوہ توٚہہ بیہِ ہن قوت پس اِنو ایمان تہٕ کرِو تس پژھ وَلَا تَتَوَلَّوۡا مُجۡرِمِیۡنَ بیہ مہ سپدِو رُوگردانی کرِت گُنھگار قَالُوۡا یٰهُوۡدُ تمِ لگِ دپنہِ اےِ ہُود مَا جِئۡتَنَا بِبَیِّنَةٍ تہٕ آوہ نہٕ اَسہِ نشہِ پنہ نسِ پیغمبر آسنس پیٹھ کانہہ دلیلاہ ہیتھ وَّمَا نَحۡنُ بِتَارِکِیۡۤ اٰلِهَتِنَا عَنۡ قَوۡلِكَ وَمَا نَحۡنُ لَكَ بِمُؤۡمِنِیۡنَ بیہِ ہیکوکھہ نہٕ اَسِ تراوِتھ پنِن معبود محض تُہندِ وننہ سیتِ بیہ ہیگونہ اَسِ توٚہہِ کُنہ صورتس منز پژھہ کرِتھ اِنۡ نَّقُوۡلُ اِلَّا اعۡتَرٰىكَ بَعۡضُ اٰلِهَتِنَا بِسُوۡٓءٍ اَسِ چھِنہ کینہہ تہٕ ونان توٚہہِ متعلّق مگر ای زِہ توٚہہِ چھُوہ سانیو بعضی معبوٗدو جذبہ کورمُت، دماغس تکلیف واتنوومُت کیازِہ تہٕ چھُوہ تہنز برخلافی کران۔ تمی چھِوہ تہٕ اوٗرک یوٗرکتھ کران۔ یمہِ نہٕ اَسہِ نشہِ قابلِ تسلیم چھہ قَالَ اِنِّیۡۤ اُشۡهِدُ اللّٰهَ وَاشۡهَدُوۡۤا اَنِّیۡ بَرِیۡٓءٌ مِّمَّا تُشۡرِکُوۡنَ ٭ مِنۡ دُوۡنِهٖ ہُود علیہِ السلام دوپھ بڑپاٹھ بو چھُس خدا گواہ تھاوان بیہ رُوزِو تُہہ تہٕ گواہ تھ کتھِ پیٹھ کہ بیشک بُو چھُس بیزار تمو ساروی چیز ونشہِ یم تہٕ عبادتس اَندر خدایہ سندِ شریک چھُوکھ ٹھہراوان تس ورای فَکِیۡدُوۡنِیۡ جَمِیۡعًا پس تہٕ ساری سمِتھ کرِو سنز میانہِ تکلیف واتناوہ نکُ ثُمَّ لَا تُنۡظِرُوۡنِ تو پتہ مہٕ پیارِو مہ کُنہی۔ اِنِّیۡ تَوَکَّلۡتُ عَلَی اللّٰهِ رَبِّیۡ وَرَبِّکُمۡ بڑپاٹہِ مہ چھُو اعتماد تہٕ ڈوکھ کورمُت کُنس خدایس پیٹھ یس میون تہٕ تُہند پروردگار چھُو مَا مِنۡ دَآبَّةٍ اِلَّا هُوَ اٰخِذٌۢ بِنَاصِیَتِهَا کانہہ جاندار چھُونہ یمسنز مگ (موےِ پیشانی) نہٕ تمسندِس اَتھس منز چھہِ اِنَّ رَبِّیۡ عَلٰی صِرَاطٍ مُّسۡتَقِیۡمٍ بڑپاٹھ میون پروردگار چھُو سیزِ وتہٕ پیٹھ پکنہ سیتِ حاصِل سپدان۔ تمہ پیٹھِ پکن والین راچھہِ تہٕ حفاظت کران فَاِنۡ تَوَلَّوۡا فَقَدۡ اَبۡلَغۡتُکُمۡ مَّاۤ

تَوَلَّوْا فَقَدْ أَبْلَغْتُكُم مَّا أُرْسِلْتُ بِهِ إِلَيْكُمْ ۚ وَيَسْتَخْلِفُ رَبِّي قَوْمًا غَيْرَكُمْ وَلَا تَضُرُّونَهُ شَيْئًا ۚ إِنَّ رَبِّي عَلَىٰ كُلِّ شَيْءٍ حَفِيظٌ ﴿٥٧﴾ وَلَمَّا جَاءَ أَمْرُنَا نَجَّيْنَا هُودًا وَالَّذِينَ آمَنُوا مَعَهُ بِرَحْمَةٍ مِّنَّا وَنَجَّيْنَاهُم مِّنْ عَذَابٍ غَلِيظٍ ﴿٥٨﴾ وَتِلْكَ عَادٌ ۖ جَحَدُوا بِآيَاتِ رَبِّهِمْ وَعَصَوْا رُسُلَهُ وَاتَّبَعُوا أَمْرَ كُلِّ جَبَّارٍ عَنِيدٍ ﴿٥٩﴾ وَأُتْبِعُوا فِي هَٰذِهِ الدُّنْيَا لَعْنَةً وَيَوْمَ الْقِيَامَةِ ۗ أَلَا إِنَّ عَادًا كَفَرُوا رَبَّهُمْ ۗ

---

**أُرْسِلْتُ بِهِ إِلَيْكُمْ** پس ہر گاہ تُہہ میانہ ایتہِ تبلیغہ تہ بلیغ بیان کرنہ پتہ تہِ بُتھ پھِرِ و۔ اعراض کرِ و مہ چھُونہ تتھ اندر کانہہ نقصان کیازِ مہِ واتنوو توہہِ سُو پیغام یُس ہیتھ بو سوزنہ آمُت اوُس۔ اَمہِ میانہِ پیغام نہ مانہ نچ شامَت پھِرِ ہ توہہِ پانسی توہہِ کرِ ہ اللہ تعالیٰ تباہ تہ برباد **وَيَسْتَخْلِفُ رَبِّي قَوْمًا غَيْرَكُمْ** توہہ بَدَل اَنہِ میون پروردگار بیس قومس اَکِس تمنی گرہ یتھ زمینس اَندر آباد **وَلَا تَضُرُّونَهُ شَيْئًا** تُہہ چھُوِ ہ نہ تس کینہہ نقصان واتناوان بلکہ چھُوِ ہ پنہ نین پانن نقصان واتناوان **إِنَّ رَبِّي عَلَىٰ كُلِّ شَيْءٍ حَفِيظٌ** پزٕ پاٹھِ میون پروردگار چھُو پرِ یتھ چیزس راچھہِ کرہ وُن۔ پرِ یتھ اکسُند حال چھُو تس معلوم **وَلَمَّا جَاءَ أَمْرُنَا نَجَّيْنَا هُودًا وَالَّذِينَ آمَنُوا مَعَهُ بِرَحْمَةٍ مِّنَّا** ادہ یلہِ سُون حُکم تہندہ عذابہ خیطرہ جاری سپُد (تمِ گالِ اَسہِ ساری) نجات دیُت اسہِ حضرتِ ہُودس بیہِ تمن لوکن یموایمان اوس اونمُت تس سیتِ پننہِ رحمتہ سیتِ **وَنَجَّيْنَاهُم مِّنْ عَذَابٍ غَلِيظٍ** نجات دُیت اَسہِ تمن مشکل عذابہ نشہِ **وَتِلْكَ عَادٌ ۖ جَحَدُوا بِآيَاتِ رَبِّهِمْ وَعَصَوْا رُسُلَهُ** بیہ اوس قومِ عاد یموانکار کور پنہ نسِ خدایہ سندین آیاتن بیہِ کٔر کھ تہندین پیغمبرن ہنز نافرمانی **وَاتَّبَعُوا أَمْرَ كُلِّ جَبَّارٍ عَنِيدٍ** بیہِ کٔر کھ پیروی سرکش تہ ضدّی مخالفن ہندین حُکمن ہنز تمیُک نتیجہ دراکھ **وَأُتْبِعُوا فِي هَٰذِهِ الدُّنْيَا لَعْنَةً وَيَوْمَ الْقِيَامَةِ** تمن آیہِ پتے تھاونہ لعنت یتھ دُنیاءس اندر بیہِ آسیکھ پتے لعنت قیامتک دوہ **أَلَا إِنَّ عَادًا كَفَرُوا رَبَّهُمْ** وارہ بُوزِو قومِ عادَن کورِ انکار پنہ نسِ

اَلَا بُعْدًا لِّعَادٍ قَوْمِ هُوْدٍ ﴿٦٠﴾ وَاِلٰى ثَمُوْدَ اَخَاهُمْ صٰلِحًا ۘ قَالَ يٰقَوْمِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ ؕ هُوَ اَنْشَاَكُمْ مِّنَ الْاَرْضِ وَاسْتَعْمَرَكُمْ فِيْهَا فَاسْتَغْفِرُوْهُ ثُمَّ تُوْبُوْۤا اِلَيْهِ ؕ اِنَّ رَبِّيْ قَرِيْبٌ مُّجِيْبٌ ﴿٦١﴾ قَالُوْا يٰصٰلِحُ قَدْ كُنْتَ فِيْنَا مَرْجُوًّا قَبْلَ هٰذَاۤ اَتَنْهٰىنَاۤ اَنْ نَّعْبُدَ مَا يَعْبُدُ اٰبَآؤُنَا وَاِنَّنَا لَفِيْ شَكٍّ مِّمَّا تَدْعُوْنَاۤ اِلَيْهِ مُرِيْبٍ ﴿٦٢﴾ قَالَ يٰقَوْمِ اَرَءَيْتُمْ اِنْ كُنْتُ عَلٰى بَيِّنَةٍ مِّنْ رَّبِّيْ وَاٰتٰىنِيْ مِنْهُ

پَروردگارَس اَلَا بُعْدًا لِّعَادٍ قَوْمِ هُوْدٍ واره بوزِو قومِ عاد آوٗ دُور کرنہٕ خدایہٕ سندِہ رحمتہٕ نِشہٕ۔
وَاِلٰى ثَمُوْدَ اَخَاهُمْ صٰلِحًا بیہٕ سوٗزٕ اَسہٕ قومِ ثمودس تٔمۍ ہٕندُ بوٗی صالح علیہ السلاّم قَالَ يٰقَوْمِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ صالح علیہ السلاّمن دوپُھ ای میانہٕ قومہ عبادت تہٕ پرستش کٔرِو معبوٗدِ برحقّہ سِنز کانہہ معبوٗداہ چھونہٕ توہہِ تس ورای هُوَ اَنْشَاَكُمْ مِّنَ الْاَرْضِ وَاسْتَعْمَرَكُمْ فِيْهَا تمسنز چھہ بڈ مہربانی توہہِ پیٹھ تٔمۍ کٔر وہ تُہہ پیدہ زمینہ کِس مادٕس میژِ ہ نِشہٕ۔ بیہ کٔر نوہ اَتھ زمینس پیٹھ آباد رنگارنگ نعمژ کرنوہ عطا۔ فَاسْتَغْفِرُوْهُ ثُمَّ تُوْبُوْۤا اِلَيْهِ پس منگو مغفرت تس پنہٕ نین گنہن ہندہ خیطرٕ ہ شرکو کُفرٕ ہ خیطرٕ ہ توبہ کٔرِو رجوع تس کُن ایمان اَنتھ تہٕ پڑھ کٔرِتھ توبہ کٔرِو رٕ ژہ عملہ اِنَّ رَبِّيْ قَرِيْبٌ مُّجِيْبٌ بیشک میون پروردگار چھُونکھ بندن پنہٕ نین۔ اجابت کرہ ٕن۔ بندن ہندِس منگنس قَالُوْا يٰصٰلِحُ قَدْ كُنْتَ فِيْنَا مَرْجُوًّا قَبْلَ هٰذَاۤ دِپنہٕ لگ تم ای صالح بتحقیق اَسہٕ آس یمہ برونٹھ ژٕہ متعلق خبر کیاہ امیدٕ تتھ سارسی کوٗرتھ ژیہ اَدلہ بدَل اَتَنْهٰىنَاۤ اَنْ نَّعْبُدَ مَا يَعْبُدُ اٰبَآؤُنَا کیاہ ژٕہ چھُکھ اَسہٕ منع کران تمن معبوٗدن پرستش کرنس یمن پرستش کران آی سانِ مالِ بُڈ بب۔ وَاِنَّنَا لَفِيْ شَكٍّ مِّمَّا تَدْعُوْنَاۤ اِلَيْهِ مُرِيْبٍ اَسہٕ چھُو ضرور شک تہٕ شُبہ تمیک یتھ کُن ژٕہ اَسہٕ نادِ دوان چھُکھ یس شک پریشان کرہ ٕن چھُو قَالَ يٰقَوْمِ اَرَءَيْتُمْ اِنْ كُنْتُ عَلٰى بَيِّنَةٍ مِّنْ رَّبِّيْ صالح علیہ السلامن دوپُھ ای میانہٕ قومہ ونتوٗ تُہہ ہرگاہ بُہ پنہٕ نِس پَروردگارہ سنزِ ہ نہٕ دلیلہٕ پیٹھ قایم آسہٕ وَاٰتٰىنِيْ مِنْهُ رَحْمَةً فَمَنْ يَّنْصُرُنِيْ مِنَ اللّٰهِ اِنْ

رَحْمَةً فَمَنْ يَّنْصُرُنِيْ مِنَ اللّٰهِ اِنْ عَصَيْتُهٗ فَمَا تَزِيْدُوْنَنِيْ غَيْرَ
تَخْسِيْرٍ ﴿۶۳﴾ وَيٰقَوْمِ هٰذِهٖ نَاقَةُ اللّٰهِ لَكُمْ اٰيَةً فَذَرُوْهَا تَاْكُلْ فِيْٓ
اَرْضِ اللّٰهِ وَلَا تَمَسُّوْهَا بِسُوْٓءٍ فَيَاْخُذَكُمْ عَذَابٌ قَرِيْبٌ ﴿۶۴﴾
فَعَقَرُوْهَا فَقَالَ تَمَتَّعُوْا فِيْ دَارِكُمْ ثَلٰثَةَ اَيَّامٍ ؕ ذٰلِكَ وَعْدٌ غَيْرُ
مَكْذُوْبٍ ﴿۶۵﴾ فَلَمَّا جَآءَ اَمْرُنَا نَجَّيْنَا صٰلِحًا وَّالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ
بِرَحْمَةٍ مِّنَّا وَمِنْ خِزْيِ يَوْمِئِذٍ ؕ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ الْقَوِيُّ الْعَزِيْزُ ﴿۶۶﴾

---

عَصَيْتُهٗ بیہ آسہِ تمہ مہِ پنٕنِ رحمت تہٕ عطا کٔر مژ۔ یعنی نبوّت۔ تہٕ آستھ ہر گاہ بو تہنز نافرمانی کرہ تبلیغ نہ کرنہ سیت ادِہ کٔہہ ہیکہِ مہِ مدد کٔرِتھ خدایس نِشہ فَمَا تَزِيْدُوْنَنِيْ غَيْرَ تَخْسِيْرٍ تُہہ چھوہٕ نہ میانہ خیطرہ نقصانہ ورای کانہہ چیز ہُرہراوان تہٕ زیادہ کران وَيٰقَوْمِ هٰذِهٖ نَاقَةُ اللّٰهِ لَكُمْ اٰيَةً ای میانہِ قومہ تُہہ یس مُعجزہ ژھانڈان چھوہ، سُو چھُو یکبار۔ یہِ چھہ خدایہِ سنٕز وونٹٕن تُہندِہ خیطرہ میانس صداقس پیٹھ اکھ بوڈ نِشاناہ تہٕ دلیلاہ۔ اَمسندِ تہٕ چھہِ توہہِ پیٹھ کیہنہ حق فَذَرُوْهَا تَاْكُلْ فِيْٓ اَرْضِ اللّٰهِ وَلَا تَمَسُّوْهَا بِسُوْٓءٍ پس تراوِیُون سُو۔ کھیوان روزِہ خدایہِ سندِس زمینس اندر گاسہ وغیرہ اَمسِ مَہ لاگو اَتھ تکلیفہ کہِ قصدہ ہرگاہ توہہِ کینہہ تکلیف واتنووہ تس فَيَاْخُذَكُمْ عَذَابٌ قَرِيْبٌ تلِہ رٹِہ توہہِ بُوڈ عذاب، سیٚتی فَعَقَرُوْهَا پَس باوجود اَتھ فہمایش کٔرِتھ مارِ سیٚو وونٹٕن تموٚ فَقَالَ پَس دوپُھ صالح علیہِ السلام تَمَتَّعُوْا فِيْ دَارِكُمْ ثَلٰثَةَ اَيَّامٍ تلوِ تمتع زندگی ہُند گرن پنہ نین منز رُوزِتھ۔ ترین دوہن۔ تمہِ پتہ چھُو توہہِ تباہ گژھُن ذٰلِكَ وَعْدٌ غَيْرُ مَكْذُوْبٍ یہِ چھُو وعدہ یس نہ اپز آسہ فَلَمَّا جَآءَ اَمْرُنَا ترِیہ[3] دوہ گژھنہ پتہ یلِہ سُون حُکم عذابس مُتعلق جاری سپُد نَجَّيْنَا صٰلِحًا وَّالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ بِرَحْمَةٍ مِّنَّا وَمِنْ خِزْيِ يَوْمِئِذٍ نجات دُیت اَسہِ صالح علیہِ السلامس بیہِ تمن لُوکن یمو ایمان اون تس سیت پنہ رحمتہ سیتِ تمہِ عذابہ نِشہِ بیہِ تمہِ دُہچہِ رسوائی نِشہِ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ الْقَوِيُّ الْعَزِيْزُ پزِپاٹھِ چونُوی پروردگار چھُو قوتہ وول غلبہ وول وَاَخَذَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوا الصَّيْحَةُ فَاَصْبَحُوْا فِيْ دِيَارِهِمْ جٰثِمِيْنَ تمِ ظالم رٹِ سخت کریکہِ یُوسہ جبریلِ

وَاَخَذَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوا الصَّيْحَةُ فَاَصْبَحُوْا فِيْ دِيَارِهِمْ جٰثِمِيْنَ ﴿۶۷﴾ كَاَنْ لَّمْ يَغْنَوْا فِيْهَا ؕ اَلَاۤ اِنَّ ثَمُوْدَا۟ كَفَرُوْا رَبَّهُمْ ؕ اَلَا بُعْدًا لِّثَمُوْدَ ﴿۶۸﴾ وَلَقَدْ جَآءَتْ رُسُلُنَاۤ اِبْرٰهِيْمَ بِالْبُشْرٰى قَالُوْا سَلٰمًا ؕ قَالَ سَلٰمٌ فَمَا لَبِثَ اَنْ جَآءَ بِعِجْلٍ حَنِيْذٍ ﴿۶۹﴾ فَلَمَّا رَاٰۤ اَيْدِيَهُمْ لَا تَصِلُ اِلَيْهِ نَكِرَهُمْ وَاَوْجَسَ مِنْهُمْ خِيْفَةً ؕ قَالُوْا لَا تَخَفْ اِنَّاۤ اُرْسِلْنَاۤ اِلٰى قَوْمِ لُوْطٍ ﴿۷۰﴾ وَامْرَاَتُهٗ قَآئِمَةٌ فَضَحِكَتْ فَبَشَّرْنٰهَا

---

اینہ سنز کریکھ آس۔ پَس بُتھ کِن وَسِتھ پیتھ گئے تمِ روزِت۔ تیُوت صاف سپُد سُو شہر كَاَنْ لَّمْ يَغْنَوْا فِيْهَا زَن نہ تمِ تتھ شہرس منز بسمتی آسِ زانہہ اَلَاۤ اِنَّ ثَمُوْدَا۟ كَفَرُوْا رَبَّهُمْ اَلَا بُعْدًا لِّثَمُوْدَ وارہ بوزِو قومِ ثمودُن کورِ انکار پنہ نسِ پروردگارسِ وارہ بُوزِہ خدایہ سندہِ رحمتہ نِشہ سپد سیٹھاہ دُور قومِ ثمود۔ بُوزِت رٹِو عبرت اِی بوزن والیو خدایہ سنزِہ نافرمانی ہُند نتیجہ کیاہ چھو آسان وَلَقَدْ جَآءَتْ رُسُلُنَاۤ اِبْرٰهِيْمَ بِالْبُشْرٰى قَالُوْا سَلٰمًا قَالَ سَلٰمٌ بیہِ آیِ پزِ پاٹھِ سانِ سوزنہ آمتِ ملایک انسان صوُرتس اندر ابراہیم علیہ السلامس نِشہِ فرزند اسماعیل علیہ السلامہ سنز خوشخبر ہیتھ۔ تِموٚ کٔر ابراہیم علیہ السلامس سلام۔ تموٚ تہٕ کٔرکھ تورہِ سلام۔ تِمن گو خیال پیٚژھِ آیے فَمَا لَبِثَ اَنْ جَآءَ بِعِجْلٍ حَنِيْذٍ تو پتہ ژیرِ تہٕ تار کرنہ ورای آی تِمن نِشہِ وڈھِ سُند بزِمُت ماز ہیتھ فَلَمَّا رَاٰۤ اَيْدِيَهُمْ لَا تَصِلُ اِلَيْهِ پَس یلہِ وچھِ تِموٚ تُہندِ اتھ نہ وتھانی تتھ کُن (تمِ نہ مازانی مازس کُن) نَكِرَهُمْ وَاَوْجَسَ مِنْهُمْ خِيْفَةً وو پرتہٕ غیر زان لگ تِمن زانہِ بیہِ لگِ دِلہ سی اندر تُہند خطرہ محسُوس کرنہِ۔ خبر کمہِ غرضہ چھِ تمِ آمتِ۔ کیازِہ تمہِ وقتہ یس شخص کانسہِ ہندہ تکلیفہ کہِ قصدہ یِوان اُوس سُو اُوس نہ تہندہِ گرِہ کینہہ کھِوان چوان۔ تمو ملایکو ژیُون یُہند کھوژُن قَالُوْا لَا تَخَفْ اِنَّاۤ اُرْسِلْنَاۤ اِلٰى قَوْمِ لُوْطٍ دُپہس اَسِ ہز چھِ ملک اَسِ چھِ آمتِ سوزنہِ قومِ لُوطس کُن تِمن سزا ای کفر و نافرمانی دنہ خیطرہ وَامْرَاَتُهٗ قَآئِمَةٌ تہنز آشین حضرتِ سارہ آس ڈودنہِ پژھین ہنز پیٚژھِ لازِی کرنہ خیطرہ۔ تمِویلہِ پژھین ہندہِ نہ کھینک حال ڈچھ بیہِ قومِ لُوطکہ گلنچ خبر

بِاِسْحٰقَ وَمِنْ وَّرَآءِ اِسْحٰقَ يَعْقُوْبَ ﴿۷۱﴾ قَالَتْ يٰوَيْلَتٰٓى ءَاَلِدُ
وَاَنَا عَجُوْزٌ وَّهٰذَا بَعْلِىْ شَيْخًا ؕ اِنَّ هٰذَا لَشَىْءٌ عَجِيْبٌ ﴿۷۲﴾
قَالُوْٓا اَتَعْجَبِيْنَ مِنْ اَمْرِ اللّٰهِ رَحْمَتُ اللّٰهِ وَبَرَكٰتُهٗ عَلَيْكُمْ اَهْلَ
الْبَيْتِ ؕ اِنَّهٗ حَمِيْدٌ مَّجِيْدٌ ﴿۷۳﴾ فَلَمَّا ذَهَبَ عَنْ اِبْرٰهِيْمَ الرَّوْعُ
وَجَآءَتْهُ الْبُشْرٰى يُجَادِلُنَا فِىْ قَوْمِ لُوْطٍ ﴿۷۴﴾ اِنَّ اِبْرٰهِيْمَ
لَحَلِيْمٌ اَوَّاهٌ مُّنِيْبٌ ﴿۷۵﴾ يٰٓاِبْرٰهِيْمُ اَعْرِضْ عَنْ هٰذَا ۚ اِنَّهٗ قَدْ

---

بُوزِ سُو گَیہِ خوش فَضَحِكَتْ خوش گژھتہ لجِ اَسنہِ فَبَشَّرْنٰهَا بِاِسْحٰقَ وَمِنْ وَّرَآءِ اِسْحٰقَ يَعْقُوْبَ پَس وَنِ اَسہِ تَس بشارت تِمنٕی ملکن ہندِ ذریعہ فرزندہ سنز۔ یَس اسحٰق ناو آو تھاونہ۔ بیہ اسحاقس پتہ تسندِس فرزندہ سنز بشارت یَس یعقوب ناوَ آوَ تھاونہ قَالَتْ يٰوَيْلَتٰٓى ءَاَلِدُ وَاَنَا عَجُوْزٌ وَّهٰذَا بَعْلِىْ شَيْخًا سُو لجِ وننہِ کیاہ گُدریوم۔ بوی چھَس وونِ بڈٕ ئمژ۔ وون پرسا بو یتھ بُجرس منز۔ بیہ چھُو یہ میون خاوندتہِ بُڈھے۔ اِنَّ هٰذَا لَشَىْءٌ عَجِيْبٌ واقعی اَسہِ دُون بُڈَن نِشہِ اولاد پیدہ سپُدن چھُو عجیب کتھاہ قَالُوْٓا اَتَعْجَبِيْنَ مِنْ اَمْرِ اللّٰهِ رَحْمَتُ اللّٰهِ وَبَرَكٰتُهٗ عَلَيْكُمْ اَهْلَ الْبَيْتِ تِموَ ملکو دُوپ کیاہ تُہہ چھوِہ خدایہِ سندِس حُکمس نسبت تعجب کران خاندانِ نبوتَس منز رُوزِتھ۔ یہِ چھا تہندِہ قدرتہ نِشہِ دُورکینہہ۔ خصوصاً چھہ تُہندِس خاندانس پیٹھ خدایہِ سنز رحمت تہ برکت نازِل۔ ای ابراہیمہ سندیو اہلِ بیتو اِنَّهٗ حَمِيْدٌ مَّجِيْدٌ پٔزِ پاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو حمد دِپنہِ آمُت، سیٹھاہ بُزرگ۔ لہذا بجائے تعجب کٔرِو تہنز تعریف تہ حمد و ثنا بیان فَلَمَّا ذَهَبَ عَنْ اِبْرٰهِيْمَ الرَّوْعُ ادہ یلہِ حضرتِ ابراہیمس نِشہِ خوف دُور سپُد تِمَن ہندِہ وننہ سیتِ وَجَآءَتْهُ الْبُشْرٰى بیہِ بُوز تِموَ خوشخبر فرزندہ سنز يُجَادِلُنَا فِىْ قَوْمِ لُوْطٍ تِمِ لگِ بحث کرنہِ اَمہِ سیتِ قومِ لوطس متعلق۔ تِمَن سپُد قومِ لوطُک ہلاک سپُدن ناگوار اِنَّ اِبْرٰهِيْمَ لَحَلِيْمٌ اَوَّاهٌ مُّنِيْبٌ پٔزِ پاٹھِ ابراہیم علیہِ السلام چھُو حلیمُ الطبع، نرم دِل، رجوع کرہ وُن خدایس کُن اَسہِ فرمووتَس ای ابراہیم لمہِ خیالہ نِشہِ پھیرو يٰٓاِبْرٰهِيْمُ اَعْرِضْ عَنْ هٰذَا اِنَّهٗ قَدْ جَآءَ اَمْرُ رَبِّكَ

جَآءَ اَمْرُ رَبِّكَ ۚ وَاِنَّهُمْ اٰتِيْهِمْ عَذَابٌ غَيْرُ مَرْدُوْدٍ ﴿٧٦﴾ وَلَمَّا
جَآءَتْ رُسُلُنَا لُوْطًا سِيْٓءَ بِهِمْ وَضَاقَ بِهِمْ ذَرْعًا وَّقَالَ هٰذَا
يَوْمٌ عَصِيْبٌ ﴿٧٧﴾ وَجَآءَهٗ قَوْمُهٗ يُهْرَعُوْنَ اِلَيْهِ ۭ وَمِنْ قَبْلُ
كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ السَّيِّاٰتِ ۭ قَالَ يٰقَوْمِ هٰٓؤُلَآءِ بَنَاتِيْ هُنَّ اَطْهَرُ
لَكُمْ فَاتَّقُوا اللّٰهَ وَلَا تُخْزُوْنِ فِيْ ضَيْفِيْ ۭ اَلَيْسَ مِنْكُمْ رَجُلٌ
رَّشِيْدٌ ﴿٧٨﴾ قَالُوْا لَقَدْ عَلِمْتَ مَا لَنَا فِيْ بَنَاتِكَ مِنْ حَقٍّ ۚ

---

پٔز پاٹھِ تھٔندِس پٔروردگارٕ سُند حُکم وُوت قریب وَاِنَّهُمْ اٰتِيْهِمْ عَذَابٌ غَيْرُ مَرْدُوْدٍ بیشک تِمن پیٹھ چھُو واتنہٕ وٲلۍ سُو عذاب یُس نہ دُور کرنہٕ ییہِ وَلَمَّا جَآءَتْ رُسُلُنَا لُوْطًا سِيْٓءَ بِهِمْ تہٕ پتہٕ یلہِ ساننِ فرستادہ ملایک واتِ حضرتِ لُوطس نشہِ نہایت خوبصورت لوکٹین ہنزٕ شکلہِ۔ آزردہ سپٕد تِم تہندہٕ ینہٕ سیتِ کیازِ تِم آسِ حسین نوجوانن ہندِس صورتس اندر حضرتِ لوطس گو خیال یِم ماچھ انسان پننہِ قومٕچ خراب ذہنیت نامعقول حرکت خیال کرِتھ سپٕد مغموم متفکر وَضَاقَ بِهِمْ ذَرْعًا تِمی سببہٕ سپٕد دل تنگ تہندہٕ ینہٕ سیتِ وَّقَالَ هٰذَا يَوْمٌ عَصِيْبٌ تِم لگِ ونٕنہِ از چھُو سختی ہُند دوہ وَجَآءَهٗ قَوْمُهٗ تِمہٕ پتہٕ آی تہندہٕ قومکِ بدمعاش لُوکھ یِمن خوبصورت لوکٹین ہُند بُوزِتھ يُهْرَعُوْنَ اِلَيْهِ دُوران دُوران تِمن نشہِ وَمِنْ قَبْلُ كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ السَّيِّاٰتِ تِم آسن برونٹھ پیٹھے ییچھ کامہٕ کرن قَالَ يٰقَوْمِ لوط علیہ السلامَن دوپھ اَی قوم هٰٓؤُلَآءِ بَنَاتِيْ یِکے چھُوہ یِمہٕ میانہ کورِ (یعنی میانہِ اُمتچہٕ کورہ) یِمہٕ تہٕندین گھرن اَندر چھہ هُنَّ اَطْهَرُ لَكُمْ یِمہٕ چھُوہ یژپاک تہٕندہٕ خیطرٕ یِمَن مہمان لوکٹین ہندِہ خوتہٕ فَاتَّقُوا اللّٰهَ پَس گژھو ژِ خدایس وَلَا تُخْزُوْنِ فِيْ ضَيْفِيْ مہِ مہ مندہ چھاوِو پژھین منز اَلَيْسَ مِنْكُمْ رَجُلٌ رَّشِيْدٌ افسوس تہٕ تعجب چھُو کیاہ تُوہہِ منزٕ چھُنا اکھ زون تہٕ گاٹُل تہٕ سمجھدار یُس یہِ گٔتھ فِکرٕ ترِہ ہاکس بین تہٕ فِکرٕ تارِہ ہا قَالُوْا لَقَدْ عَلِمْتَ مَا لَنَا فِيْ بَنَاتِكَ مِنْ حَقٍّ تِمو دوپُکھ تُوہہِ چھہ خبری اَسہِ چھنہ تُہنزن یِمَن قومی کورین ہنز کُنہی ضرورت کیازِہ اَسہِ چھُونہ زنانَن کُن رغبتھی وَاِنَّكَ لَتَعْلَمُ مَا نُرِيْدُ بیہ چھُو

وَاِنَّكَ لَتَعۡلَمُ مَا نُرِيۡدُ ﴿٧٩﴾ قَالَ لَوۡ اَنَّ لِىۡ بِكُمۡ قُوَّةً اَوۡ
اٰوِىۡۤ اِلٰى رُكۡنٍ شَدِيۡدٍ ﴿٨٠﴾ قَالُوۡا يٰلُوۡطُ اِنَّا رُسُلُ رَبِّكَ
لَنۡ يَّصِلُوۡۤا اِلَيۡكَ فَاَسۡرِ بِاَهۡلِكَ بِقِطۡعٍ مِّنَ الَّيۡلِ وَلَا
يَلۡتَفِتۡ مِنۡكُمۡ اَحَدٌ اِلَّا امۡرَاَتَكَ ؕ اِنَّهٗ مُصِيۡبُهَا مَاۤ اَصَابَهُمۡ ؕ
اِنَّ مَوۡعِدَهُمُ الصُّبۡحُ ؕ اَلَيۡسَ الصُّبۡحُ بِقَرِيۡبٍ ﴿٨١﴾

---

توهہِ معلوم کہ سون مقصد کیاہ ڇھوٗ اسِ کمہ خیطرہ ڇھِ یور آمت قَالَ لَوۡ اَنَّ لِىۡ بِكُمۡ قُوَّةً لوط علیہِ السلامَن دۄپکھ مجبور سپدِ تھ ای کاش ہر گاہ مےِ تہِ توہہِ سیت مُقابلہ کرُنک طاقت آسِہا تُہند شر کرہا بو پانئے دَفع مگر بوٗ کُنوی زون کیاہ ہیکہ کرِ تھ اَوۡ اٰوِىۡۤ اِلٰى رُكۡنٍ شَدِيۡدٍ نتہ یمہِ ہا بوٗ کُنہِ محکم دیوارہ کِس پنہس تل۔ مُراد چھوٗ امہِ اَندرہ کانہہ قبیلہ آسہامہِ یم مےِ مدد کرہ ہَن۔ او تانِ چھِہ یم ملک لوتہِ پاٹھِ بہتھ یُہُند حال ڈۄچھان یمویلہِ ڈۄچھ لوط علیہ السلام سخت پریشان سپدان قَالُوۡا يٰلُوۡطُ اِنَّا رُسُلُ رَبِّكَ لَنۡ يَّصِلُوۡۤا اِلَيۡكَ تمو ملکو دۄپکھ ای لوط غم مہ برِ وکینہہ۔ اَسِ چھنہِ انسان اَسِ چھِہ تہندِس پروردگارہ سندہ طرفہ سوزنہ آمتِ ملک اَسہِ ہیکن نہ یم کینہہ تہِ کرِ تھ بلکہ ہیکن نہ یم توہہِ تہِ نکھہ یتھ کانہہ تکلیف واتنا وِ تھ۔ اَسِ چھِہ یمن پیٹھ عذاب نازِل کرنہِ آمتِ فَاَسۡرِ بِاَهۡلِكَ بِقِطۡعٍ مِّنَ الَّيۡلِ وَلَا يَلۡتَفِتۡ مِنۡكُمۡ اَحَدٌ اِلَّا امۡرَاَتَكَ پَس نیرو رات کُیت راڈ ہندِس کُنہِ حِصّس اندر پنُن عیال ہیتھ۔ یُتھنہ توہہِ اَندرہ کانہہ پتھ کُن نظر دیہ۔ مگر نہ تہنز آشن سوگرُشھہِ نہ پانس سیتِ تُلن کینہہ کیازِہ سو چھَنہ مُسلمان۔ بلکہ آس سوا ہندِس گرس منز روُزِ تھ جاسوسی کران اِنَّهٗ مُصِيۡبُهَا مَاۤ اَصَابَهُمۡ پزپاٹھ لَس چھو واتہ ڈن سُو عذاب یُس بین لُوکن واتہ ڈن چھو اِنَّ مَوۡعِدَهُمُ الصُّبۡحُ بیہ چھو تمن عذاب واتنک وقت صُبحُس تمی چھہِ اَسِ وَنان توہہِ کالہ کالے نیرِ وِ یمہِ شہرہ منزہ لوط علیہ السلام آسِ تیوت پریشن سپدمتِ تمو دوپہک صُبحس تانِ پیارنچ کیاہ ضرورت چھَہ کالہ کالے گالِیُو کھ اَلَيۡسَ الصُّبۡحُ بِقَرِيۡبٍ ملایکو دوپہک صُبح چھُنا نزدیک۔ لُوط علیہ السلام درای رات کیو توی امہِ شہرہ نشہِ دُور اکس جایہ فَلَمَّا جَآءَ اَمۡرُنَا جَعَلۡنَا

فَلَمَّا جَآءَ اَمْرُنَا جَعَلْنَا عَالِيَهَا سَافِلَهَا وَاَمْطَرْنَا عَلَيْهَا حِجَارَةً مِّنْ سِجِّيْلٍ ۙ مَّنْضُوْدٍ ﴿٨٢﴾ مُّسَوَّمَةً عِنْدَ رَبِّكَ ؕ وَمَا هِيَ مِنَ الظّٰلِمِيْنَ بِبَعِيْدٍ ﴿٨٣﴾ وَاِلٰى مَدْيَنَ اَخَاهُمْ شُعَيْبًا ؕ قَالَ يٰقَوْمِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ ؕ وَلَا تَنْقُصُوا الْمِكْيَالَ وَالْمِيْزَانَ اِنِّيْٓ اَرٰىكُمْ بِخَيْرٍ وَّاِنِّيْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ مُّحِيْطٍ ﴿٨٤﴾ وَيٰقَوْمِ اَوْفُوا الْمِكْيَالَ وَالْمِيْزَانَ بِالْقِسْطِ وَلَا تَبْخَسُوا النَّاسَ اَشْيَآءَهُمْ

---

عَالِيَهَا سَافِلَهَا پس يلهِ سون حُكُم جاري سُپد تهندِس عذابس مُتعلق اَسهِ كور تته شهرس تُلك پيٹھ تُميک هيرُم طرف كور بون گُن۔ بونيُوم طرف كور هيور گُن وَاَمْطَرْنَا عَلَيْهَا حِجَارَةً مِّنْ سِجِّيْلٍ مَّنْضُوْدٍ * مُّسَوَّمَةً عِنْدَ رَبِّكَ بيهِ كور اَسهِ تِمن پيٹھ كنهِ رُود۔ يمهِ كنهِ كھنگر آسه پُوتُس پتھ۔ تِمے كنهِ آسهِ چانس خدايس نشهِ علامت تہ نِشانه تھاونه آمژه وَمَا هِيَ مِنَ الظّٰلِمِيْنَ بِبَعِيْدٍ تِم شهر چھنهِ تِمن ظالمن مكه كين كافرن هنديو شهر ونشهِ كينهه دُور وَاِلٰى مَدْيَنَ اَخَاهُمْ شُعَيْبًا بيهِ سُوز اسهِ شهرِ مدين كين لُوكن گُن بوى تهند شعيب عليه السلام قَالَ يٰقَوْمِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ تِمو دُپھ اى ميانهِ قومه بندگى كرو تُهس خدايس توهِ چھونه تَس وراى كانْه معبُود وَلَا تَنْقُصُوا الْمِكْيَالَ وَالْمِيْزَانَ بيهِ مهِ چھهنه راوِو مينن بانه بيهِ ترکر۔ مينان آسوِ پُور، تولان آسوِ پُور اِنِّيْٓ اَرٰىكُمْ بِخَيْرٍ مهِ چھوهِ تُهه بوزنه يوان رتس حالس منز مالكهِ اعتباره لهذا اُكُس چيز چھو توهِ آماده كران لُوكن چھون دِنس پيٹھ وَّاِنِّيْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ مُّحِيْطٍ مهِ چھُو تهندِه حقه خطره باسان تِمهِ دهكهِ عذابُك يُس دوه بے شمار عذابن احاطه كرِ تھ ياَيس دوه اولينن تہ آخرنين احاطه كرِ تھ آسهِ وَيٰقَوْمِ اَوْفُوا الْمِكْيَالَ وَالْمِيْزَانَ بِالْقِسْطِ اى ميانهِ قومه بيهِ آسوِ مينان پُور تولان تہ پُور عدل وانصافه سان وَلَا تَبْخَسُوا النَّاسَ اَشْيَآءَهُمْ

وَلَا تَعْثَوْا فِي الْأَرْضِ مُفْسِدِينَ ﴿٨٥﴾ بَقِيَّتُ اللَّهِ خَيْرٌ لَّكُمْ إِن
كُنتُم مُّؤْمِنِينَ ۚ وَمَا أَنَا عَلَيْكُم بِحَفِيظٍ ﴿٨٦﴾ قَالُوا يَا شُعَيْبُ
أَصَلَاتُكَ تَأْمُرُكَ أَن نَّتْرُكَ مَا يَعْبُدُ آبَاؤُنَا أَوْ أَن نَّفْعَلَ
فِي أَمْوَالِنَا مَا نَشَاءُ ۖ إِنَّكَ لَأَنتَ الْحَلِيمُ الرَّشِيدُ ﴿٨٧﴾ قَالَ
يَا قَوْمِ أَرَأَيْتُمْ إِن كُنتُ عَلَىٰ بَيِّنَةٍ مِّن رَّبِّي وَرَزَقَنِي مِنْهُ
رِزْقًا حَسَنًا ۚ وَمَا أُرِيدُ أَنْ أُخَالِفَكُمْ إِلَىٰ مَا أَنْهَاكُمْ

---

بیہِ مہٰ آسوِ لُوکن ہندین چیزن اندر کمی تہٕ نقصان کران وَلَا تَعْثَوْا فِي الْأَرْضِ مُفْسِدِينَ بیہِ مہٰ تُلِوز مینس منز شر کہ سیتِ تہٕ بددیانتی سیتِ فساد بَقِيَّتُ اللَّهِ خَيْرٌ لَّكُمْ إِن كُنتُم مُّؤْمِنِينَ پُور میٖنتھ، پُور تۆلِتھ یس خدایہ سُند رِزق توہہِ پتھ کُن روزِہ سُو چھو تہندِہ خیٖطرٕ ہمہِ کمایہِ خوتہٕ سیٹھاہ بہتر۔ کیازِہ حرامس منز اگرچہِ زیادہ آسِتن، برکت چھنہٕ بیہِ چھو انجام تمیک نارِ جہنم۔ حلال اگر کمی آسہِ تتھ منز چھہ برکت انجام تمیک چھو رضایِ الٰہی تہٕ جنت۔ ہرگاہ توہہِ تمہِ کتھ ہُند یقین چھو تلہِ مانو وَمَا أَنَا عَلَيْكُم بِحَفِيظٍ بُہ چھُس نہٕ تہند شکھدر بوروزووہ راچھہِ پریتھ وقتہ۔ بہ چھُس پیغمبر توہہِ بیم کرہ ون قَالُوا يَا شُعَيْبُ أَصَلَاتُكَ تَأْمُرُكَ أَن نَّتْرُكَ مَا يَعْبُدُ آبَاؤُنَا تمو دوپ یہِ سورُوی وعظ و نصیحت بوز تھ اِی شعیب کیاہ توہہِ چھادپان یہِ وہمی تقدس پنِنِ نمازِ اَسِ کیا تراوو تمن چیزن ہنز پرستش کرنِ تمن چیزن سانِ مالِ بُڈبب پرستش کران آی أَوْ أَن نَّفْعَلَ فِي أَمْوَالِنَا مَا نَشَاءُ بیہِ کیا تراووٗ اَسِ پنہٕ نِس مالَس اندر پننہِ خواہشہِ مُوجب تصرف کرن إِنَّكَ لَأَنتَ الْحَلِيمُ الرَّشِيدُ بیشک تۆہِ چھوہ بڈِ معتبر بنتھِ گاٹہ جارچہ کتھ کران (یہِ ووٗنکھ ٹھٹہ پاٹھِ) قَالَ يَا قَوْمِ فرموٗدکھ اِی میانہِ قومہ أَرَأَيْتُمْ إِن كُنتُ عَلَىٰ بَيِّنَةٍ مِّن رَّبِّي وَرَزَقَنِي مِنْهُ رِزْقًا حَسَنًا تُہہٕ ونتوٗمہِ ہرگاہ بُہ پننہِ نِس خدایہ سندِہ طرفہ نہٕ دلیلہِ پیٹھ قایم آسہ یمہِ سیتِ توحید و عدل ثابت چھو۔ بیہِ آسہِ مہِ تمِ پننہِ طرفہ اکھ بہترین دولتاہ عطا کرمژ یعنی نبوت۔ یمہِ سیتِ مہِ تبلیغ کرن واجِب چھو۔ لہٰذا اَتھ پاٹھِ تراووہ بو تبلیغ کرن وَمَا أُرِيدُ أَنْ أُخَالِفَكُمْ إِلَىٰ

عَنۡهُ ؕ اِنۡ اُرِيۡدُ اِلَّا الۡاِصۡلَاحَ مَا اسۡتَطَعۡتُ ؕ وَمَا تَوۡفِيۡقِىۡۤ اِلَّا بِاللّٰهِ ؕ عَلَيۡهِ تَوَكَّلۡتُ وَاِلَيۡهِ اُنِيۡبُ ﴿۸۸﴾ وَيٰقَوۡمِ لَا يَجۡرِمَنَّكُمۡ شِقَاقِىۡۤ اَنۡ يُّصِيۡبَكُمۡ مِّثۡلُ مَاۤ اَصَابَ قَوۡمَ نُوۡحٍ اَوۡ قَوۡمَ هُوۡدٍ اَوۡ قَوۡمَ صٰلِحٍ ؕ وَمَا قَوۡمُ لُوۡطٍ مِّنۡكُمۡ بِبَعِيۡدٍ ﴿۸۹﴾ وَاسۡتَغۡفِرُوۡا رَبَّكُمۡ ثُمَّ تُوۡبُوۡۤا اِلَيۡهِ ؕ اِنَّ رَبِّىۡ رَحِيۡمٌ وَّدُوۡدٌ ﴿۹۰﴾ قَالُوۡا يٰشُعَيۡبُ مَا نَفۡقَهُ كَثِيۡرًا مِّمَّا تَقُوۡلُ وَاِنَّا لَنَرٰٮكَ فِيۡنَا ضَعِيۡفًا ؕ وَلَوۡلَا رَهۡطُكَ لَرَجَمۡنٰكَ ؗ وَمَاۤ اَنۡتَ عَلَيۡنَا

---

مَاۤ اَنۡهٰٮكُمۡ عَنۡهُ بوچھو سنہ یژھان سوکوم پانہ کرنِ ییمہِ نشہِ توہہ منع کران چھسوہ اِنۡ اُرِيۡدُ اِلَّا الۡاِصۡلَاحَ مَا اسۡتَطَعۡتُ بوچھو سنہ یژھان مگر اصلاح کرن تہ سنبھالُن۔ یُوت بو ہیکہ تہ تیوت وَمَا تَوۡفِيۡقِىۡۤ اِلَّا بِاللّٰهِ بیہ چھونہ میانین کامین ہُندِ سہل تہ آسان سپُدن مگر خدایہ سندی یاری تہ مدد سیت عَلَيۡهِ تَوَكَّلۡتُ وَاِلَيۡهِ اُنِيۡبُ تس پیٹھ کورمہ توکل تہ اعتماد تس کُن چھوس بو پرتھ وقتہ رجوع کران۔ وَيٰقَوۡمِ لَا يَجۡرِمَنَّكُمۡ شِقَاقِىۡۤ ای میانہ قومہ میون عدلوت تہ مخالفت مہ زینہ راون توہہ اَنۡ يُّصِيۡبَكُمۡ مِّثۡلُ مَاۤ اَصَابَ قَوۡمَ نُوۡحٍ اَوۡ قَوۡمَ هُوۡدٍ اَوۡ قَوۡمَ صٰلِحٍ کہ توہہِ کیاہ بنہِ سوی باتھ یُس قوم نوحس یا قوم ہودس یا قوم صالحس بنیہ تم زمانہ کنِ دُور چھہِ وَمَا قَوۡمُ لُوۡطٍ مِّنۡكُمۡ بِبَعِيۡدٍ قوم لوطک حال چھونہ توہہ نشہِ دُور کینہہ تہ وَاسۡتَغۡفِرُوۡا رَبَّكُمۡ ثُمَّ تُوۡبُوۡۤا اِلَيۡهِ ووَنِ منگو مغفرت کفر و شرک خیطرہ پنہ نس پروردگارس توپتہ کرِو تس کُن رجوع طاعت و عبادتہ سیت اِنَّ رَبِّىۡ رَحِيۡمٌ وَّدُوۡدٌ بیشک میون پروردگار چھو سیٹھاہ رحم کرہ وُن مغفرت منگہ وُنین پیٹھ دوست تھوہ وُن توبہ کرہ وُنین قَالُوۡا يٰشُعَيۡبُ مَا نَفۡقَهُ كَثِيۡرًا مِّمَّا تَقُوۡلُ ای شعیب اسہ چھنہ چانہ اکثر کتھ فکری تران تمو کتھو اندرہ ییمہ ژہ وونان چھُکھ کیاژِہ اسِ چھنہِ تمہ کتھ توجہ تہ فکرہ سان بوزان وَاِنَّا لَنَرٰٮكَ فِيۡنَا ضَعِيۡفًا بیہ

بِعَزِيْزٍ ﴿٩١﴾ قَالَ يٰقَوْمِ اَرَهْطِيْٓ اَعَزُّ عَلَيْكُمْ مِّنَ اللّٰهِ ؕ وَ اتَّخَذْتُمُوْهُ وَرَآءَكُمْ ظِهْرِيًّا ؕ اِنَّ رَبِّيْ بِمَا تَعْمَلُوْنَ مُحِيْطٌ ﴿٩٢﴾ وَيٰقَوْمِ اعْمَلُوْا عَلٰى مَكَانَتِكُمْ اِنِّيْ عَامِلٌ ؕ سَوْفَ تَعْلَمُوْنَ ۙ مَنْ يَّاْتِيْهِ عَذَابٌ يُّخْزِيْهِ وَمَنْ هُوَ كَاذِبٌ ؕ وَارْتَقِبُوْٓا اِنِّيْ مَعَكُمْ رَقِيْبٌ ﴿٩٣﴾ وَلَمَّا جَآءَ اَمْرُنَا نَجَّيْنَا شُعَيْبًا وَّالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ بِرَحْمَةٍ مِّنَّا ۚ وَاَخَذَتِ الَّذِيْنَ ظَلَمُوا الصَّيْحَةُ

---

چھوکھ ڙہ اَسہِ بوزنہ یوان اسہِ اندر سیٹھاہ پست کمزور وَلَوْلَا رَهْطُكَ لَرَجَمْنٰكَ ہر گاہ نے چانہِ خاندانگ تہ قبیلک پاس آسہے یم سانہِ ہم مذہب چھہِ اس کرہ ہوت ڙہ کنہ کنہ (یعنی سنگسار) وَمَآ اَنْتَ عَلَيْنَا بِعَزِيْزٍ بیہ چھوکھ نہ ڙہ اَسہِ نشہِ کُنہ قسمہ قابلِ عزت تہ قَالَ يٰقَوْمِ اَرَهْطِيْٓ اَعَزُّ عَلَيْكُمْ مِّنَ اللّٰهِ شعیب علیہ السلام من دوپکھ ای میانہِ قومہ افسوس کیاہ میون قبیلہ چھا توہہِ نشِ خدایہ سندہ خوتہ زیادے قابلِ عزت۔ مہ چھہ پنہ نِس پانس نسبت کرمژ خدا ئیس کُن وَاتَّخَذْتُمُوْهُ وَرَآءَكُمْ ظِهْرِيًّا کیاہ اللہ تعالیٰ چھوٗ نہ توہہِ تروومُت تھر پتھ کُنی تمسند چھُنا توہہِ کانہہ خیالاہ تہ لحاظاہ اِنَّ رَبِّيْ بِمَا تَعْمَلُوْنَ مُحِيْطٌ ہوش کرِو میون پروردگار چھو یقیناً تُہنزن سارنی کٲمن احاطہ کرتھ وَيٰقَوْمِ اعْمَلُوْا عَلٰى مَكَانَتِكُمْ اِنِّيْ عَامِلٌ ای میانہِ قومہ تُہہ تہِ رُوزِو پنہ جایہ کوم کران۔ بوتہِ چھوس پنہ جایہ کوم کران سَوْفَ تَعْلَمُوْنَ مَنْ يَّاْتِيْهِ عَذَابٌ يُّخْزِيْهِ وَمَنْ هُوَ كَاذِبٌ برونٹھ پھن زانو تُہہ کہ کُہہ شخص آسہِ سُو یُس خوار تہ ذلیل کرہ ون عذاب واتہِ۔ بیہ کُہہ شخص آسہِ اپزونہ ون وَارْتَقِبُوْٓا اِنِّيْ مَعَكُمْ رَقِيْبٌ پیارِو تُہہ بوتہِ چھوس توہی سیتِ پیاران وَلَمَّا جَآءَ اَمْرُنَا نَجَّيْنَا شُعَيْبًا وَّالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ بِرَحْمَةٍ مِّنَّا اَدہ یلہِ سون حُکم تہندس عذابس متعلق جاری سپد نجات دیُوت حضرتِ شعیبس بیہ تمی سیتِ ایمان انہ ونین پنہِ رحمتہ سیتِ وَاَخَذَتِ الَّذِيْنَ ظَلَمُوا الصَّيْحَةُ ظالم تہ نافرمان رٹ جبریل امینہ سنزہ کُنی کریکہِ فَاَصْبَحُوْا فِيْ دِيَارِهِمْ جٰثِمِيْنَ پس پے تم پنہ نین گرن اندر بُتھہِ کِن وستھِ توہ پتہ مُود كَاَنْ

فَاَصۡبَحُوۡا فِیۡ دِیَارِهِمۡ جٰثِمِیۡنَ ﴿۹۴﴾ كَاَنۡ لَّمۡ یَغۡنَوۡا فِیۡهَا ؕ اَلَا
بُعۡدًا لِّمَدۡیَنَ كَمَا بَعِدَتۡ ثَمُوۡدُ ﴿۹۵﴾ وَلَقَدۡ اَرۡسَلۡنَا مُوۡسٰی
بِاٰیٰتِنَا وَسُلۡطٰنٍ مُّبِیۡنٍ ﴿۹۶﴾ اِلٰی فِرۡعَوۡنَ وَمَلَا۠ئِهٖ
فَاتَّبَعُوۡۤا اَمۡرَ فِرۡعَوۡنَ ۚ وَمَاۤ اَمۡرُ فِرۡعَوۡنَ بِرَشِیۡدٍ ﴿۹۷﴾
یَقۡدُمُ قَوۡمَهٗ یَوۡمَ الۡقِیٰمَةِ فَاَوۡرَدَهُمُ النَّارَ ؕ وَبِئۡسَ الۡوِرۡدُ
الۡمَوۡرُوۡدُ ﴿۹۸﴾ وَاُتۡبِعُوۡا فِیۡ هٰذِهٖ لَعۡنَةً وَّیَوۡمَ الۡقِیٰمَةِ ؕ بِئۡسَ
الرِّفۡدُ الۡمَرۡفُوۡدُ ﴿۹۹﴾ ذٰلِكَ مِنۡ اَنۡۢبَآءِ الۡقُرٰی نَقُصُّهٗ عَلَیۡكَ مِنۡهَا

---

لَمۡ یَغۡنَوۡا فِیۡهَا زَن نہ تمِ تِمن جایَن اندر بسانی زانہہ آسِ اَلَا بُعۡدًا لِّمَدۡیَنَ كَمَا بَعِدَتۡ ثَمُوۡدُ وارہ
بُوزِو تہٕ عبرت رٹو شہر مدینکِ لُوکھ تہِ گئے خدایہٕ سنزِ رحمتہ نشہِ دُور تتھے پاٹھِ یتھ پاٹھِ قومِ ثموُد گئے۔
وَلَقَدۡ اَرۡسَلۡنَا مُوۡسٰی بِاٰیٰتِنَا وَسُلۡطٰنٍ مُّبِیۡنٍ * اِلٰی فِرۡعَوۡنَ وَمَلَا۠ئِهٖ بیہ سُوز اسہِ پزِ پاٹھِ
حضرت مُوسٰیؑ پننِ آیات تہٕ روشن دلیلہ ہیتھ فرعونس تہٕ تہندِ قومہ کین زٕھین گُن یُس نہ مُون فرعونَن
تہٕ تمسندہ قومہِ کیوزِ ٹھیو فَاتَّبَعُوۡۤا اَمۡرَ فِرۡعَوۡنَ پَس پکِ تمِ تہٕ فرعونہ سنزی رایہِ مُوجب موسٰیؑ علیہِ
السلامہ سندِ حقہ وَمَاۤ اَمۡرُ فِرۡعَوۡنَ بِرَشِیۡدٍ حالانکہ آس نہ فرعونہ سنز رای صحیح کینہہ تہٕ یَقۡدُمُ
قَوۡمَهٗ یَوۡمَ الۡقِیٰمَةِ برونٹھ برونٹھ آسہِ پکان فرعون پنہ نِس قومَس قیامتک دوہ فَاَوۡرَدَهُمُ النَّارَ پَس
والیکھ نار جہنمس اندر وَبِئۡسَ الۡوِرۡدُ الۡمَوۡرُوۡدُ سیٹھاہ یچھ ونج جایاہ چھ نارِ جہنم۔ وَاُتۡبِعُوۡا فِیۡ هٰذِهٖ لَعۡنَةً
وَّیَوۡمَ الۡقِیٰمَةِ دُنیاءس منزتہِ رُوز تمن لعنت پتے بیہ روز یکھ پتے قیامتک دوہ تہِ۔ یتہٕ سِد غرق آبس تہٕ
پین نارِ جہنمس اَندر بِئۡسَ الرِّفۡدُ الۡمَرۡفُوۡدُ یچھ اِنعاماہ چھُ یُس انعام تمِن آوٕ دِنہ یعنی لعنت فی
الدارین ذٰلِكَ مِنۡ اَنۡۢبَآءِ الۡقُرٰی نَقُصُّهٗ عَلَیۡكَ مِنۡهَا قَآئِمٌ وَّحَصِیۡدٌ تمہِ چھ بعضی خبرہ تباہ گیمتین شہرن
ہنزہ۔ یمہِ اَسِ توہِ ونان چھ۔ تمو شہرَو اندرہ چھِ کینہہ شہر وُنہِ تہٕ موجود۔ بعضی چھِ مُولہ مُونجہِ ختم گیمتِ

قَآئِمٌ وَّحَصِيدٌ ﴿١٠٠﴾ وَمَا ظَلَمْنٰهُمْ وَلٰكِنْ ظَلَمُوٓا اَنْفُسَهُمْ فَمَآ اَغْنَتْ عَنْهُمْ اٰلِهَتُهُمُ الَّتِيْ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مِنْ شَيْءٍ لَّمَّا جَآءَ اَمْرُ رَبِّكَ ۚ وَمَا زَادُوْهُمْ غَيْرَ تَتْبِيْبٍ ﴿١٠١﴾ وَكَذٰلِكَ اَخْذُ رَبِّكَ اِذَآ اَخَذَ الْقُرٰى وَهِيَ ظَالِمَةٌ ۚ اِنَّ اَخْذَهٗٓ اَلِيْمٌ شَدِيْدٌ ﴿١٠٢﴾ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّمَنْ خَافَ عَذَابَ الْاٰخِرَةِ ۚ ذٰلِكَ يَوْمٌ مَّجْمُوْعٌ ۙ لَّهُ النَّاسُ وَذٰلِكَ يَوْمٌ مَّشْهُوْدٌ ﴿١٠٣﴾ وَمَا نُؤَخِّرُهٗٓ اِلَّا لِاَجَلٍ مَّعْدُوْدٍ ﴿١٠٤﴾ يَوْمَ يَاْتِ لَا تَكَلَّمُ نَفْسٌ اِلَّا

---

وَمَا ظَلَمْنٰهُمْ وَلٰكِنْ ظَلَمُوٓا اَنْفُسَهُمْ اسهِ کور نه تمن کا نهه ظلم بلکه کور تمو پانِ پانس ظلم سانِ نافرمانی کرنه سیتِ فَمَآ اَغْنَتْ عَنْهُمْ اٰلِهَتُهُمُ الَّتِيْ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مِنْ شَيْءٍ پس هیوک نه کانهه فائده واتناوِتھ تمن تهندیو تمو معبودو یمن تمِ پرستش کران آسِ معبودِ برحقس وراى۔ لَّمَّا جَآءَ اَمْرُ رَبِّكَ یلهِ چانس پروردگاره سُند حُکم جاری سپُد تهندِ عذابه خیطره وَمَا زَادُوْهُمْ غَيْرَ تَتْبِيْبٍ بیهِ هیوک نه تمو تمن کینهه ته هُره راوِتھ ته زیاده کرِتھ تاوانه ته نقصانه ورای وَكَذٰلِكَ اَخْذُ رَبِّكَ اِذَآ اَخَذَ الْقُرٰى وَهِيَ ظَالِمَةٌ یتھے پاٹھِ کیاچھُو آسان چانس پروردگاره سُند رٹن ته گرفتار کرن۔ یلهِ سُوگنهِ شهره کین لُوکن تهندِ ظلمه ته کُره سببه رٹان چھُو۔ اِنَّ اَخْذَهٗٓ اَلِيْمٌ شَدِيْدٌ پزپاٹھ تهند رٹن چھُو سیٹھاه کُڈر ته سخت آسان اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّمَنْ خَافَ عَذَابَ الْاٰخِرَةِ پزپاٹھِ یتھ منز چھ عبرت تمن لُوکن هنده خیطره یم کھوژان چھهِ آخرته کس عذابس ذٰلِكَ يَوْمٌ مَّجْمُوْعٌ لَّهُ النَّاسُ سُو آخرتُک دوه گو سُوی یمهِ دوهه سو نبر نه ین ساری لُوکھ۔ وَذٰلِكَ يَوْمٌ مَّشْهُوْدٌ سُو دوه گو سُوی یمهِ دوهه ساری مخلوقات ینِ حاضر کرنه وَمَا نُؤَخِّرُهٗٓ اِلَّا لِاَجَلٍ مَّعْدُوْدٍ اَسِ چھنهِ تھ منز تاخیر کران مگر اَکهِ گنز رَنه آمته مُدّته خیطره (یعنی تمهِ اَنگ چھُو وقت مقرر کرنه آمت سُو یُو تان نه واته تو تان قیامت ایهِ نه

بِاِذْنِهٖ ۚ فَمِنْهُمْ شَقِيٌّ وَّسَعِيْدٌ ﴿١٠٥﴾ فَاَمَّا الَّذِيْنَ شَقُوْا فَفِي
النَّارِ لَهُمْ فِيْهَا زَفِيْرٌ وَّشَهِيْقٌ ﴿١٠٦﴾ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا مَا دَامَتِ
السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ اِلَّا مَا شَآءَ رَبُّكَ ؕ اِنَّ رَبَّكَ فَعَّالٌ لِّمَا
يُرِيْدُ ﴿١٠٧﴾ وَاَمَّا الَّذِيْنَ سُعِدُوْا فَفِي الْجَنَّةِ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا مَا دَامَتِ
السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ اِلَّا مَا شَآءَ رَبُّكَ ؕ عَطَآءً غَيْرَ مَجْذُوْذٍ ﴿١٠٨﴾
فَلَا تَكُ فِيْ مِرْيَةٍ مِّمَّا يَعْبُدُ هٰٓؤُلَآءِ ؕ مَا يَعْبُدُوْنَ اِلَّا كَمَا
يَعْبُدُ اٰبَآؤُهُمْ مِّنْ قَبْلُ ؕ وَاِنَّا لَمُوَفُّوْهُمْ نَصِيْبَهُمْ غَيْرَ

---

يَوْمَ يَاْتِ لَا تَكَلَّمُ نَفْسٌ اِلَّا بِاِذْنِهٖ تنهن ڏينهن سو قيامت ايهڙو هولناڪ آهي حالت ته ڪا به اکاهيڪڙ نه ڪٿي ڪري ته خدا جي سنڌي حڪم ور آءِ فَمِنْهُمْ شَقِيٌّ وَّسَعِيْدٌ لوڪن آهن ٻه قسم اڙ آهن اهل شقاوت ڪافر ۽ نافرمان. اڙ آهن سعادت مند باايمان ته فَاَمَّا الَّذِيْنَ شَقُوْا فَفِي النَّارِ پس تنهن لوکھ شقي آهن تن واتن نارس اندر لَهُمْ فِيْهَا زَفِيْرٌ وَّشَهِيْقٌ تن آهن ته جهنمس اندر ڪريڪه دوان گوڏه گوڏه ٿهزه ڪريڪه. پته يله ٿهڪان آهن اده آهن دوان لوته لوته. خٰلِدِيْنَ فِيْهَا مَا دَامَتِ السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ هميشه روزن تته نار جهنمس اندر يوتان آسمان ته زمين قائم ڇھ اِلَّا مَا شَآءَ رَبُّكَ مگر يه چون پروردگار يڙهه اِنَّ رَبَّكَ فَعَّالٌ لِّمَا يُرِيْدُ پزپاٺ چون پرودگار ڇهوتي ڪرن يه يڙهان ڇهو وَاَمَّا الَّذِيْنَ سُعِدُوْا فَفِي الْجَنَّةِ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا مَا دَامَتِ السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ بيه تم سعادت مند لوکھ آهن تم واتن جنتس منز تمن تت روزن ڇهو هميشه. يوتان آسمان ته زمين قايم ڇهو اِلَّا مَا شَآءَ رَبُّكَ مگر يه چون پروردگار يڙهه عَطَآءً غَيْرَ مَجْذُوْذٍ يه ڇهه بخشش ته مهرباني يوسه نه ڙهينه ون ته ختم گڙهه ون آسه فَلَا تَكُ فِيْ مِرْيَةٍ مِّمَّا يَعْبُدُ هٰٓؤُلَآءِ پس مه آس زه ڪنه قسمه شڪس اندر تمن باطل معبودن متعلق يمن هنز يم گمراه لوڪ پرستش ڪران ڇهه. مَا يَعْبُدُوْنَ اِلَّا كَمَا يَعْبُدُ اٰبَآؤُهُمْ مِّنْ

مَنْقُوْصٍ ﴿۱۰۹﴾ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ فَاخْتُلِفَ فِيْهِ ؕ وَ
لَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِنْ رَّبِّكَ لَقُضِيَ بَيْنَهُمْ ؕ وَاِنَّهُمْ لَفِيْ
شَكٍّ مِّنْهُ مُرِيْبٍ ﴿۱۱۰﴾ وَاِنَّ كُلًّا لَّمَّا لَيُوَفِّيَنَّهُمْ رَبُّكَ اَعْمَالَهُمْ ؕ
اِنَّهٗ بِمَا يَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ ﴿۱۱۱﴾ فَاسْتَقِمْ كَمَآ اُمِرْتَ وَمَنْ تَابَ
مَعَكَ وَلَا تَطْغَوْا ؕ اِنَّهٗ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ ﴿۱۱۲﴾ وَلَا تَرْكَنُوْٓا اِلَى
الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا فَتَمَسَّكُمُ النَّارُ ۙ وَمَا لَكُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ مِنْ

---

قَبْلُ تمِ چھِنہ پرستش کران مگر تِتھے پاٹھِ یتھ پاٹھِ یِہندِ مالِ بُڈِ بب غلط طریقس پیٹھ باطِل معبودن ہنز پرستش کران آسِ تِمن برونٹھ وَاِنَّا لَمُوَفُّوْهُمْ نَصِيْبَهُمْ غَيْرَ مَنْقُوْصٍ اُسِ دِمَو تِمن پوٗرہ پوٗرہ حصہ کم کرنہ ورای وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ فَاخْتُلِفَ فِيْهِ پزِ پاٹھِ بیہِ کراسہِ عطا حضرتِ موسیٰ اُس کِتاب (تورات) تتھ منزتِہ آو اختلاف کرنہ۔ اڈیو موٗن اڈیو کور اِنکار۔ لہٰذا ایہِ نو کتھاہ چھِنہ۔ تہٕ مہ سپدِو مُنکرن ہندہ انکارہ سیتِ غمگین وَلَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِنْ رَّبِّكَ لَقُضِيَ بَيْنَهُمْ ہرگاہ نہٕ اکھ کتھاہ یُوسہ تہندِ س پروردگارہ سندہ طرفہ برونٹھ مقرر کرنہ آمٕژ چھِہ قیامتس آسہا کہ مُنکرن ایہِ پوٗرہ عذاب آخر تس منز دِنہ۔ نتہ بیہِ ہاضرور تِمن اختلاف کرہ وِنین ہُند فیصلہ دنیاء سی اندر کرنہ وَاِنَّهُمْ لَفِيْ شَكٍّ مِّنْهُ مُرِيْبٍ تمِ چھہ بیہِ تمہِ قیامتس تتھِس شکس منز یُس تِمن حیران کرہٕ وِن چھُو۔ مگر کانسہِ ہندِہ شک کرنہ سیتِ بیہِ سزا اپتھ گژھہِ نہ وَاِنَّ كُلًّا لَّمَّا لَيُوَفِّيَنَّهُمْ رَبُّكَ اَعْمَالَهُمْ پزِ پاٹھِ بیہِ دیہِ چون پروردگار پریتھ اکس پنہ نین عملن ہنز پوٗر مزدوٗرِ اِنَّهٗ بِمَا يَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ پزِ پاٹھِ سُو چھُو پوٗر زانان تمہِ سارے کامہِ یمہِ تمِ کران چھِہ فَاسْتَقِمْ كَمَآ اُمِرْتَ وَمَنْ تَابَ مَعَكَ پس کرِ و تہٕ استقامت یمو کُفرہ نشہِ توبہ کرِ تھ توہہِ سیتِ شمولیت اختیار کر وَلَا تَطْغَوْا حدہ مہ ڈلو۔ دینہ نشہِ مہ نیرِ و اکس ذرّس برابر اِنَّهٗ بِمَا تَعْمَلُوْنَ بَصِيْرٌ پزِ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو تہنزہ سارے کامہِ وارہٕ وُچھان۔ وَلَا تَرْكَنُوْٓا اِلَى الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا فَتَمَسَّكُمُ النَّارُ ای باایمانو بیہِ مہ سپدِو تہٕ مایل تِمن لوٗکن کُن یمو شرک وکُفرہ سیتِ ظُلم کور تیلہ

أَوْلِيَاءَ ثُمَّ لَا تُنْصَرُونَ ﴿۱۱۳﴾ وَأَقِمِ الصَّلَوٰةَ طَرَفَيِ النَّهَارِ وَزُلَفًا
مِّنَ الَّيْلِ ۚ إِنَّ الْحَسَنَٰتِ يُذْهِبْنَ السَّيِّـَٔاتِ ۚ ذَٰلِكَ ذِكْرَىٰ
لِلذَّٰكِرِينَ ﴿۱۱۴﴾ وَاصْبِرْ فَإِنَّ اللَّهَ لَا يُضِيعُ أَجْرَ الْمُحْسِنِينَ ﴿۱۱۵﴾ فَلَوْلَا
كَانَ مِنَ الْقُرُونِ مِن قَبْلِكُمْ أُولُوا بَقِيَّةٍ يَنْهَوْنَ عَنِ
الْفَسَادِ فِي الْأَرْضِ إِلَّا قَلِيلًا مِّمَّنْ أَنجَيْنَا مِنْهُمْ ۗ وَاتَّبَعَ
الَّذِينَ ظَلَمُوا مَا أُتْرِفُوا فِيهِ وَكَانُوا مُجْرِمِينَ ﴿۱۱۶﴾ وَمَا

---

رٹہِ توہہِ نارِ جہنم وَمَا لَكُم مِّن دُونِ اللَّهِ مِنْ أَوْلِيَاءَ بیہِ آسہِ نہ توہہِ خدایس ورای کانہہ رفاقت کرہ وُناہ دوستاہ ثُمَّ لَا تُنْصَرُونَ تو پتہ ایوہ نہ توہہِ مدد کرنہ وَأَقِمِ الصَّلَوٰةَ طَرَفَيِ النَّهَارِ وَزُلَفًا مِّنَ الَّيْلِ بیہِ تھاوِو برپا نمازہ ہے یا رسول اللہ دوہہ کین دون طرفن اندر۔ یعنی صبح پیشن تہ دِگر۔ بیہِ راتھ ہندِس اکس حصس اندر۔ سُو گو شام تہ خفتن۔ یمہِ گیہِ پانژہ نمازہ پورہ إِنَّ الْحَسَنَٰتِ يُذْهِبْنَ السَّيِّـَٔاتِ پزِ پاٹھ نیک کامہِ چھ گالان بدمن تہ یچھ کامین ذَٰلِكَ ذِكْرَىٰ لِلذَّٰكِرِينَ یہِ کتھ کہ نیکیو سیتِ چھِ گُناہ معاف سپدان چھہ بڈ نصیحت، نصیحت رٹہ وَنین، مانہ وَنین ہندِہ خیطرہ وَاصْبِرْ فَإِنَّ اللَّهَ لَا يُضِيعُ أَجْرَ الْمُحْسِنِينَ منکرن ہندِہ طرفہ یُس معاملہ پیش یوان چھُو تتھ پیٹھ کر وِ صبر۔ لُوکن ہندس تکلیفس پیٹھ یا نمازِہ ہندِس قائمِ تھاونس پیٹھ۔ پس اللہ تعالیٰ چھُو نہ ہرگز ضائع کران نیکوکارن ہنز مُزورِ فَلَوْلَا كَانَ مِنَ الْقُرُونِ مِن قَبْلِكُمْ پس کونہ آسِ تمہِ لوکو اندرہ یم توہہِ برونٹھ آسِ أُولُوا بَقِيَّةٍ صاحبِ شعور جماعتھاہ يَنْهَوْنَ عَنِ الْفَسَادِ فِي الْأَرْضِ یم منع آسہن کران زمینس منز شرک و کُفرہ سیتِ فساد تہ تباہی کرنہ نشہِ إِلَّا قَلِيلًا مِّمَّنْ أَنجَيْنَا مِنْهُمْ مگر تمِ کینہہ لُوک آسن یمِ اَسہِ ہموِ عذاب کرنہ آمیتو اندرہ بچاومتِ آس۔ تمو یتھِ پاٹھِ پانہ کفر و شر کہ نشہِ توبہ کُورتھے پاٹھِ آسِ بین تہ کفر و شر کہ نشہِ منع کران وَاتَّبَعَ الَّذِينَ ظَلَمُوا مَا أُتْرِفُوا فِيهِ ظالم تہ نافرمان لوکھ رودِ عیش و آرام کِس حالس پتے۔ وَكَانُوا مُجْرِمِينَ بیہِ آسِ تمِ گنہگار نافرمان جرائمن ہندِ خوگر وَمَا كَانَ رَبُّكَ لِيُهْلِكَ

كَانَ رَبُّكَ لِيُهْلِكَ الْقُرٰى بِظُلْمٍ وَّاَهْلُهَا مُصْلِحُوْنَ ﴿١١٧﴾
وَلَوْ شَآءَ رَبُّكَ لَجَعَلَ النَّاسَ اُمَّةً وَّاحِدَةً وَّلَا يَزَالُوْنَ
مُخْتَلِفِيْنَ ﴿١١٨﴾ اِلَّا مَنْ رَّحِمَ رَبُّكَ ۭ وَلِذٰلِكَ خَلَقَهُمْ ۭ وَتَمَّتْ كَلِمَةُ
رَبِّكَ لَاَمْلَئَنَّ جَهَنَّمَ مِنَ الْجِنَّةِ وَالنَّاسِ اَجْمَعِيْنَ ﴿١١٩﴾ وَكُلًّا
نَّقُصُّ عَلَيْكَ مِنْ اَنْۢبَآءِ الرُّسُلِ مَا نُثَبِّتُ بِهٖ فُؤَادَكَ ۚ وَجَآءَكَ
فِيْ هٰذِهِ الْحَقُّ وَمَوْعِظَةٌ وَّذِكْرٰى لِلْمُؤْمِنِيْنَ ﴿١٢٠﴾ وَقُلْ لِّلَّذِيْنَ لَا

---

الْقُرٰى بِظُلْمٍ وَّاَهْلُهَا مُصْلِحُوْنَ بيهِ ڇڻو نه تهند پروردگار سُو کيا گالهِ ڳنهِ شهره کين لوکن ظُلم ڪرِت يلهِ تمهِ شهرکِ لوکه آسَن اصلاح کره ونِ۔ بين لوکن تبليغ ودعوت دِره ونِ وَلَوْ شَآءَ رَبُّكَ لَجَعَلَ النَّاسَ اُمَّةً وَّاحِدَةً هر گهَ يڙهِ هاتُهند پروردگار سُو کره هاضرور ساري لوکن ڳُني (جماعت بعض حڪمن ڳن نظر ڪرِ تهه يڙهُ نه تمِ تهِ بلکهِ بناوين واريا ه جماڙ تمو اِختلاف کور وَّلَا يَزَالُوْنَ مُخْتَلِفِيْنَ بيهِ روزن تمِ هميشه اختلاف گره ونِ اِلَّا مَنْ رَّحِمَ رَبُّكَ مگر کرن نه اختلاف دمنِ حقس اندر تمِ تمن پيٺه تُهند پروردگار فضل ته رحم کرِه وَلِذٰلِكَ خَلَقَهُمْ امي خيطره ڇهنِ کرمت پيده۔ يعني اختلاف کرن وال اختلافه خيطره۔ رحمته وال رحمته خيطره۔ وَتَمَّتْ كَلِمَةُ رَبِّكَ بيهِ ڇهو پوُرسپد مُت چانس پروردگاره سُنديه حُڪم لَاَمْلَئَنَّ جَهَنَّمَ مِنَ الْجِنَّةِ وَالنَّاسِ اَجْمَعِيْنَ کهِ ضرور کرن بُو پُر نار جهنم، جنو ته انسانو سيت اکهِ وَٺه وَكُلًّا نَّقُصُّ عَلَيْكَ مِنْ اَنْۢبَآءِ الرُّسُلِ بيهِ ڇهِ اسِ تمِ ساري قصه، حضراتِ انبياءن هنديو قصواندره توهه بيان کران مَا نُثَبِّتُ بِهٖ فُؤَادَكَ تمِ قصه تمِو سيت اسِ تهُند دل مضبوط کران ڇهِ وَجَآءَكَ فِيْ هٰذِهِ الْحَقُّ وَمَوْعِظَةٌ وَّذِكْرٰى لِلْمُؤْمِنِيْنَ بيهِ واڙ توهه نشهِ اته منز پڙکته۔ بيهِ ڇهواته منز بوڊ وعظ بڊ نصيحت ته ياد دهاني با ايمانن هندِه خيطره وَقُلْ لِّلَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ اعْمَلُوْا عَلٰى مَكَانَتِكُمْ ۭ اِنَّا عٰمِلُوْنَ بيهِ وَنو تمن لوکن يمِ نه باوجودِ قطعي دليله تمنِ نشهِ واتنکه ايمان انان ڇهِ۔ اي لوکو کران گڙهو تهِه کوم پننه جايه۔ اسِ تهِ ڇهِ کوم کران پننه جايهِ وَانْتَظِرُوْا ۚ اِنَّا مُنْتَظِرُوْنَ بيهِ پياروِ تهِه پننه نين اعمالن هندِس

يُؤۡمِنُوۡنَ اعۡمَلُوۡا عَلٰى مَكَانَتِكُمۡ ؕ اِنَّا عٰمِلُوۡنَ ۝۱۲۱ ۙ وَانۡتَظِرُوۡا ۚ اِنَّا مُنۡتَظِرُوۡنَ ۝۱۲۲ وَلِلّٰهِ غَيۡبُ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَاِلَيۡهِ يُرۡجَعُ الۡاَمۡرُ كُلُّهٗ فَاعۡبُدۡهُ وَتَوَكَّلۡ عَلَيۡهِ ؕ وَمَا رَبُّكَ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعۡمَلُوۡنَ ۝۱۲۳ ع

---

نتیجس اَسِ تہٕ چھِہ پیاران پنہٕ نین اعمالَن ہندس نتیجس عنقریب نَنہِ پوز کیاہ چھُو تہٕ اپُز کیاہ چھُو وَلِلّٰهِ غَيۡبُ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَاِلَيۡهِ يُرۡجَعُ الۡاَمۡرُ كُلُّهٗ فَاعۡبُدۡهُ وَتَوَكَّلۡ عَلَيۡهِ بیہٕ چھُو خدایہ سی معلوم تہٕ سورُے یہٕ آسمانن تہٕ زمینن اندر پُوشیدہ چھُو۔ تِس کُن ین واتاونہٕ ساری معاملات پس کرِو تہنزی یاژ عِبادت تہٕ بندگی۔ بیہٕ کرو تِس پیٹھ توکل تہٕ اعتماد وَمَا رَبُّكَ بِغَافِلٍ عَمَّا تَعۡمَلُوۡنَ بیہٕ چھُونہٕ چون پروردگار بے خبر تمو کامیو نشہِ یمہِ تہُہ کران چھوِہ۔






بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ

الٓرٰ ۚ تِلۡكَ اٰيٰتُ الۡكِتٰبِ الۡمُبِيۡنِ ۞ اِنَّاۤ اَنۡزَلۡنٰهُ قُرۡءٰنًا عَرَبِيًّا لَّعَلَّكُمۡ تَعۡقِلُوۡنَ ۞ نَحۡنُ نَقُصُّ عَلَيۡكَ اَحۡسَنَ الۡقَصَصِ بِمَاۤ اَوۡحَيۡنَاۤ اِلَيۡكَ هٰذَا الۡقُرۡاٰنَ ۖ وَاِنۡ كُنۡتَ مِنۡ قَبۡلِهٖ لَمِنَ الۡغٰفِلِيۡنَ ۞ اِذۡ قَالَ يُوۡسُفُ لِاَبِيۡهِ يٰۤاَبَتِ اِنِّىۡ رَاَيۡتُ اَحَدَ عَشَرَ كَوۡكَبًا وَّالشَّمۡسَ وَالۡقَمَرَ رَاَيۡتُهُمۡ لِىۡ سٰجِدِيۡنَ ۞ قَالَ يٰبُنَىَّ لَا تَقۡصُصۡ رُءۡيَاكَ عَلٰٓى اِخۡوَتِكَ فَيَكِيۡدُوۡا لَكَ

الٓرٰ امیک معنی چھو خدایہِ سی معلوم تِلۡكَ اٰيٰتُ الۡكِتٰبِ الۡمُبِيۡنِ بیہِ چھہِ تمہِ آیات اکہِ واضح تہ صاف کتابہ ہندِ اِنَّاۤ اَنۡزَلۡنٰهُ قُرۡءٰنًا عَرَبِيًّا پزپاٹھِ اسہِ کرنازِل سوکِتاب قرآن مجید عربی پاٹھِ لَّعَلَّكُمۡ تَعۡقِلُوۡنَ یُتھ تہہِ گوڈہ ای مکہ کیو لُوکو فکرہ ترِہ۔ تہندِہ واسطِہ ترہ فکرہ بِن لُوکن تہِ۔ نَحۡنُ نَقُصُّ عَلَيۡكَ اَحۡسَنَ الۡقَصَصِ بِمَاۤ اَوۡحَيۡنَاۤ اِلَيۡكَ هٰذَا الۡقُرۡاٰنَ اسِ گرو بیان توہہِ یار سول اللّٰہ قِصّواندرہ بہتر قِصاہ۔ یمہِ ذریعہ اسہِ سوز توہہِ گُن یہِ قرآنِ مجید یعنی بذریعہ وحی وَاِنۡ كُنۡتَ مِنۡ قَبۡلِهٖ لَمِنَ الۡغٰفِلِيۡنَ آسِوہ تُہہ سانہِ بیان کرنہ برونٹھ امہِ نِشہِ بالکل بے خبر کیازِہ نہ اوسوہ پورمُت کینہ نہ اوسوہ کانسہِ نِشہِ بوزمُت کینہہ۔ نہ اوس لوکن نِشہِ یمہِ طریقہ صحتہ سان یہِ قِصّہ مشہور اِذۡ قَالَ يُوۡسُفُ لِاَبِيۡهِ يٰۤاَبَتِ سُووقت چھو قابلِ ذکریلہِ حضرتِ یوسفن بابس پنہ نِس وون بابہ صیبامہِ حضِ ڈِچھ خواب اِنِّىۡ رَاَيۡتُ اَحَدَ عَشَرَ كَوۡكَبًا وَّالشَّمۡسَ وَالۡقَمَرَ رَاَيۡتُهُمۡ لِىۡ سٰجِدِيۡنَ مہِ حضِ وچھ خوابس اندر کاہ تارک بیہِ آفتاب تہ زُون۔ یمہ ساری وچھم مہِ سجدہ دِوان قَالَ يٰبُنَىَّ تموٚ فرموس جواب ای

كَيْدًا ۭ اِنَّ الشَّيْطٰنَ لِلْاِنْسَانِ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ ۝ وَكَذٰلِكَ
يَجْتَبِيْكَ رَبُّكَ وَيُعَلِّمُكَ مِنْ تَاْوِيْلِ الْاَحَادِيْثِ وَيُتِمُّ نِعْمَتَهٗ
عَلَيْكَ وَعَلٰٓى اٰلِ يَعْقُوْبَ كَمَآ اَتَمَّهَا عَلٰٓى اَبَوَيْكَ مِنْ قَبْلُ
اِبْرٰهِيْمَ وَاِسْحٰقَ ۭ اِنَّ رَبَّكَ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ ۝۶ لَقَدْ كَانَ فِيْ يُوْسُفَ
وَاِخْوَتِهٖٓ اٰيٰتٌ لِّلسَّاۗىِٕلِيْنَ ۝۷ اِذْ قَالُوْا لَيُوْسُفُ وَاَخُوْهُ اَحَبُّ

---

میانہِ گوبرہ لَا تَقْصُصْ رُءْيَاكَ عَلٰٓى اِخْوَتِكَ یہِ خواب باوِزہ نہ بامَن نشہِ۔ تمِ آسِ کاہ[11] بای حضرت یوسُفس ورای۔[10] داہ آسِ اکس ماجہِ اَتھہِ۔ زہ ۲ آسِ حضرت یوسف تہ بنیامین بیسِ ماجہِ اَتھہِ فَيَكِيْدُوْا لَكَ كَيْدًا تِمن بیہِ نہ یہِ خوش کینہہ تہِ۔ پس کرن تمِ چانہِ تکلیف تہ اِذاواتناونہ خیطرہ خاص تدبیر شیطانہ سندِہ وسوسہ سیتِ۔ اِنَّ الشَّيْطٰنَ لِلْاِنْسَانِ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ پزٕ پاٹھِ شیطان چھُو انسانہ سندنن دُشمن وَكَذٰلِكَ يَجْتَبِيْكَ رَبُّكَ وَيُعَلِّمُكَ مِنْ تَاْوِيْلِ الْاَحَادِيْثِ یہِ خواب ژیہ ڈ چھُتھہ تہِ اِیہ بَعمل۔ بیہ کری ژہِ پنُن پروردگار منتخب نبوّتہ خیطرہ برگزیدہ پنہ نیو مہربانیو سیتِ۔ بیہ ہیچھہِ ناوی ژہِ خوابَن ہندِہ تعبیُرک علم وَيُتِمُّ نِعْمَتَهٗ عَلَيْكَ وَعَلٰٓى اٰلِ يَعْقُوْبَ بیہ کرہِ سُو پُورپنِن نعمت ژیہ پیٹھ۔ بیہ حضرت یعقوبہ سندِس خاندانس پیٹھ۔ كَمَآ اَتَمَّهَا عَلٰٓى اَبَوَيْكَ مِنْ قَبْلُ اِبْرٰهِيْمَ وَاِسْحٰقَ یتھہ پاٹھ تمِ پُورہ کرپنن نعمت چانس بُڈبس تہ بڈہ بُڈِبَس پیٹھ۔ یعنی حضرتِ ابراہیمس تہ حضرتِ اسحٰقس پیٹھ اِنَّ رَبَّكَ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ پزٕ پاٹھِ چون پروردگار چھُو سیٹھاہ علمہ وول تہ حکمتہ ڈول۔ پریتھ اکس چھُو مناسِب فیض عطا کران لَقَدْ كَانَ فِيْ يُوْسُفَ وَاِخْوَتِهٖٓ اٰيٰتٌ لِّلسَّاۗىِٕلِيْنَ تحقیق حضرتِ یوسُف بیہ تہندین بامَن ہندِس قصّس منز چھہِ بڈِبڈِ نشانہ خدایہ سندہ قُدرتک۔ بیہ تُہندِہ نبُوتکِ۔ یارسُول اللہ تمن لُوکن ہندِہ خیطرہ یمِ توہہِ یمہِ قصکّ پرژھان چھہِ۔ کیازِہ حضرتِ یوسفس اَتھہ بیکسی اندر سلطنت تہ تھود مرتبہ عطا سپُدن چھہ خدایہِ سنزی کوم۔ اَمہِ سیتِ سپدِہ مُسلمانن بڈ عبرت حاصِل۔ بیہ قوّتِ ایمان اِذْ قَالُوْا لَيُوْسُفُ وَاَخُوْهُ اَحَبُّ اِلٰٓى اَبِيْنَا مِنَّا وَنَحْنُ عُصْبَةٌ یہِ کتھ چھہ قابِل ذِکریلہِ تمو

إِلَىٰ أَبِينَا مِنَّا وَنَحْنُ عُصْبَةٌ إِنَّ أَبَانَا لَفِي ضَلَٰلٍ مُّبِينٍ ﴿٨﴾ اقْتُلُوا يُوسُفَ أَوِ اطْرَحُوهُ أَرْضًا يَخْلُ لَكُمْ وَجْهُ أَبِيكُمْ وَتَكُونُوا مِن بَعْدِهِ قَوْمًا صَٰلِحِينَ ﴿٩﴾ قَالَ قَائِلٌ مِّنْهُمْ لَا تَقْتُلُوا يُوسُفَ وَأَلْقُوهُ فِي غَيَٰبَتِ الْجُبِّ يَلْتَقِطْهُ بَعْضُ السَّيَّارَةِ إِن كُنتُمْ فَٰعِلِينَ ﴿١٠﴾ قَالُوا يَٰأَبَانَا مَا لَكَ لَا تَأْمَنَّا عَلَىٰ يُوسُفَ وَإِنَّا لَهُ لَنَٰصِحُونَ ﴿١١﴾ أَرْسِلْهُ مَعَنَا غَدًا يَرْتَعْ وَيَلْعَبْ وَإِنَّا

---

دوره بايوا کہِ دوہہ پانہ وانِ ڈوپ۔ اَلبتہ يوسُف تہ تُہند حقيقي بوی بنيامين ڇھو زياده ٹوٹھ سانس بابہ صيئس سانہِ خوتہ حالانکہِ اِس چھ واریاه بایِ۔ اکھ جماعت تمِ چھہِ زه بايِ۔ حالانکہِ تمِ زه چھہِ کم سِن تہ لوکٹِ۔ کم سِنی مؤکھ ین نہ تہندہ اَتھہ تمہِ کامہِ سُوخدمت يُوسہ سانِ کن اِیہ۔ اَسِ چھہِ اکھ بڈ جماعت۔ سُون گوڈھہ تمِن زياده محبت آسُن اِنَّ اَبَانَا لَفِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ بيشک سُون بابہ صيب ڇھونہِ غلطی پيٹھ اِقْتُلُوْا يُوْسُفَ اَوِ اطْرَحُوْهُ اَرْضًا يَّخْلُ لَكُمْ وَجْهُ اَبِيْكُمْ صلاح ڇھو يُوسف مارِیُون یا تراوِیون دُور کُنہِ جايہِ۔ اَده روزِه بابہ صيبُن رُخ توہی کُن مو کُل۔ تُہند توجہ سپدِه پُور توہی کُن وَتَكُوْنُوْا مِنْۢ بَعْدِهٖ قَوْمًا صٰلِحِيْنَ تمی پتہ سپدِه تُہنز کوم دُرست قَالَ قَآئِلٌ مِّنْهُمْ لَا تَقْتُلُوْا يُوْسُفَ تمو منزه دو تھ اکھ ونن وولاه۔ تمِ دوپُکھ يوسُف مہ مارِیُون۔ قتل تہ مارُن ڇھونا مناسب۔ وَاَلْقُوْهُ فِيْ غَيٰبَتِ الْجُبِّ يَلْتَقِطْهُ بَعْضُ السَّيَّارَةِ اِنْ كُنْتُمْ فٰعِلِيْنَ بلکہ تراوِیُون سُو کُنہِ کیرچہِ پُوشیده جایہِ منز۔ یتھ تمسِ کانہہ قافلہ تمہِ منزه کھارِت پانس سيتِ بيہِ کُنہِ شہرس منز واتناوِه۔ ہر گاه توہہِ یہ کوم کرنِ ڇھوه میانہِ مشوره تلہِ کُر وِیتھے پاٹھِ۔ ساری سپدِ اَتھ کتھِ پیٹھ مُتفق۔ چنانچہ اِکہ وَٹہ گئے حضرتِ یعقوبس نِش قَالُوْا يٰۤاَبَانَا مَا لَكَ لَا تَاْمَنَّا عَلٰى يُوْسُفَ دَپنہِ لگ ای سانہِ بابہ صیبہ اَسہِ پیٹھہ کونہ ہز ڇھوه تُہہ اِعتبار کران حضرتِ یُوسفہ سندِس حقس منز۔ تمِ کونہ حض ڇھوکھ اسہِ سيتِ ڇھیرنہِ تہ سیر کرنہِ سوزان۔ وَاِنَّا لَهٗ لَنٰصِحُوْنَ حالانکہِ اسِ چھہِ تمسندِ بڈ خير خواه اَرْسِلْهُ مَعَنَا غَدًا يَّرْتَعْ وَيَلْعَبْ

لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ ﴿١٢﴾ قَالَ اِنِّیْ لَیَحْزُنُنِیْۤ اَنْ تَذْهَبُوْا بِهٖ وَاَخَافُ
اَنْ یَّاْكُلَهُ الذِّئْبُ وَاَنْتُمْ عَنْهُ غٰفِلُوْنَ ﴿١٣﴾ قَالُوْا لَئِنْ
اَكَلَهُ الذِّئْبُ وَنَحْنُ عُصْبَةٌ اِنَّاۤ اِذًا لَّخٰسِرُوْنَ ﴿١٤﴾
فَلَمَّا ذَهَبُوْا بِهٖ وَاَجْمَعُوْۤا اَنْ یَّجْعَلُوْهُ فِیْ غَیٰبَتِ الْجُبِّ ۚ
وَاَوْحَیْنَاۤ اِلَیْهِ لَتُنَبِّئَنَّهُمْ بِاَمْرِهِمْ هٰذَا وَهُمْ لَا یَشْعُرُوْنَ ﴿١٥﴾
وَجَآءُوْۤ اَبَاهُمْ عِشَآءً یَّبْكُوْنَ ﴿١٦﴾ قَالُوْا یٰۤاَبَانَاۤ اِنَّا ذَهَبْنَا

---

سو سوزیون پگاہ اَسہِ سیتِ جنگلن اندر کھیہِ میوہ۔ بیہِ پھیرِہ تھورِہ اورہ یُور۔ ذرا کڈہ واشاہ۔ تُہہ مہ بَرِ وِ کانہہ اندیشہِ وَاِنَّا لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ اسِ ساری چھہِ تَس راچھہِ تہٕ حفاظت کرہ وِنِ قَالَ اِنِّیْ لَیَحْزُنُنِیْۤ اَنْ تَذْهَبُوْا بِهٖ وَاَخَافُ اَنْ یَّاْكُلَهُ الذِّئْبُ وَاَنْتُمْ عَنْهُ غٰفِلُوْنَ حضرتِ یعقوبَن دوُپکھ مہِ چھُو تُہندِ یہِ پانس سیتِ نیُون پریشان کران (کیازِہ اَمسنز دُوری چھُس نہ بُو ذرہ وان) بیہِ چھُوم خطرہ گرٛشھان اَمِس ماکھیہِ رامہ ہُون (اتھ شہرس منز آسِ سیٹھاہ رامہ ہون) تُہہ آسِو پننہِ کامہِ سیتِ مشغول اَمِس کُن روزہ وہ نہ خیالی۔ اَمسندِہ حالہ نِشہِ رُوزِو بے خبر قَالُوْا لَئِنْ اَكَلَهُ الذِّئْبُ وَنَحْنُ عُصْبَةٌ اِنَّاۤ اِذًا لَّخٰسِرُوْنَ تِموٚ دُوپ اَس ایژ بڈ جماعت سیتِ آستھ ہر گاہ اَمِس رامہ ہُون کھیتہ تلہ چھہِ اسِ بڈہ تاوان زدِ تلہِ چھونہ اَسہِ اعتبار اہ کینہہ فَلَمَّا ذَهَبُوْا بِهٖ پتِس یلہِ یہِ حضرتِ یوسُف تِموٚ پانس سیتِ نیُو وَاَجْمَعُوْۤا اَنْ یَّجْعَلُوْهُ فِیْ غَیٰبَتِ الْجُبِّ بیہِ کور تِموٚ سارِوی اِتفاق سابقہ فیصلہ موجُب کہِ یہِ تراویون کیرِ چہِ پوٗشیدہ جایہِ منز (چنانچہِ اکھ کیور اہ اوس اَمہِ طرفہ۔ تتھ منز ترووُکھ) وَاَوْحَیْنَاۤ اِلَیْهِ لَتُنَبِّئَنَّهُمْ بِاَمْرِهِمْ هٰذَا وَهُمْ لَا یَشْعُرُوْنَ اَسہِ سُوزوحی حضرتِ یوسُفس کُن (غم مہ برکینہہ۔ اکھ وقتہ واتہ) ژہ پاوکھ تِمن یہِ سُورُوی کرتُوت ژتِیں تمِ آسَنہ ژیہِ پرزہ ناوانی وَجَآءُوْۤ اَبَاهُمْ عِشَآءً یَّبْكُوْنَ تو پتہ آی تمِ بابہ صیبس پننہ نِس نِشہِ کالچن ودان ودان قَالُوْا یٰۤاَبَانَاۤ اِنَّا ذَهَبْنَا نَسْتَبِقُ وَتَرَكْنَا یُوْسُفَ عِنْدَ مَتَاعِنَا فَاَكَلَهُ الذِّئْبُ دَپنہِ لگِ اے سانہ بابہ صیبہ چھوہ نا بُوزان اس لجیای پانہ وانِ دورِہ اندر مان مان

نَسْتَبِقُ وَتَرَكْنَا يُوسُفَ عِنْدَ مَتَاعِنَا فَأَكَلَهُ الذِّئْبُ ۚ وَمَا
أَنْتَ بِمُؤْمِنٍ لَنَا وَلَوْ كُنَّا صٰدِقِينَ ﴿١٧﴾ وَجَآءُوْ عَلٰى قَمِيْصِهٖ
بِدَمٍ كَذِبٍ ۗ قَالَ بَلْ سَوَّلَتْ لَكُمْ أَنْفُسُكُمْ أَمْرًا ۗ فَصَبْرٌ
جَمِيْلٌ ۗ وَاللّٰهُ الْمُسْتَعَانُ عَلٰى مَا تَصِفُوْنَ ﴿١٨﴾ وَجَآءَتْ سَيَّارَةٌ
فَأَرْسَلُوْا وَارِدَهُمْ فَأَدْلٰى دَلْوَهٗ ۗ قَالَ يٰبُشْرٰى هٰذَا غُلٰمٌ ۗ
وَأَسَرُّوْهُ بِضَاعَةً ۗ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ بِمَا يَعْمَلُوْنَ ﴿١٩﴾ وَشَرَوْهُ

---

کرنہِ یوسُف تھاوِیو اَسہِ ساماںس نشہِ راچھِ اتی آوٗرامہ ہوٗن تمی کھیوسُو وَمَآ اَنْتَ بِمُؤْمِنٍ لَّنَا وَلَوْ كُنَّا صٰدِقِيْنَ مگر تُہہ گتہِ کرِ واَسہِ پژھہ ہر گاہ اسِ پوٗزتہِ ونان آسو وَجَآءُوْ عَلٰى قَمِيْصِهٖ بِدَمٍ كَذِبٍ بیہِ اَنِکھ تمِن بروٗنٹھ کُن تھزٕ کرُتنِ اُپزٕ رتھ مٕتھتھ قَالَ حضرتِ یعقوبن دوٗپھ یہِ کتھ چھنہ یُوسہ تُہہ ونان چھوِہ۔ ہر گاہ یہِ رامہ ہوٗنِ سنز کوم آسہاتلہِ آسہٕنی اَتھ کرُتنہِ رامہِ ہوٗنِ سندین ژوپین ہندِ زخم۔ حقیقت یہِ چھنہ یہ تُہہ بیان کران چھوِہ بَلْ سَوَّلَتْ لَكُمْ اَنْفُسُكُمْ اَمْرًا بلکہِ چھوِہ تُہہ نفسن پنہ نین بیہِ کوستان مشکل کوم کرنہ خیطرہ تنبلاومتِ فَصَبْرٌ جَمِيْلٌ وولن چھُو میانہِ خیطرہ صبر کرُنوی جان وَاللّٰهُ الْمُسْتَعَانُ عَلٰى مَا تَصِفُوْنَ بیہِ چھُوس بو اللہ تعالیٰ سی یاری منگان تتھ دردناک واقعس پیٹھ یُس تُہہ ونان چھوِہ وَجَآءَتْ سَيَّارَةٌ یپارِ پیوٗ وانتھ اکھ قافلاہ اکھ تتھ کیرِس نکھ تل یتھ منز حضرتِ یوسُف اوس فَاَرْسَلُوْا وَارِدَهُمْ فَاَدْلٰى دَلْوَهٗ پس سوز تمو پنٕن آب سارٕن وول تمِ تروو بُجہ پنٕن کیرِس منز تورہ کھوت بجس اندر رندہ بوٗن محبوباہ حضرتِ یوسُف قَالَ يٰبُشْرٰى هٰذَا غُلٰمٌ تمِس یانِ تَس کُن نظر پیہِ سوٗ لوگ کریکھ تُلتھ دِپنہِ ہالو کو خوشخبر بوینوہ۔ یہِ چھُو اکھ خوبصورت فرزنداہ وَاَسَرُّوْهُ بِضَاعَةً توپتہ تھُوکھ کھٕٹتھ مالِ تجارت بناوِ تھ۔ خیال کوٗرکھ کہِ یہِ ہیتھ گژھو مصرس منز کانسہِ بڈِسِ امیرس کنون تتہِ۔ خوب نفع تہ فائیدہ سپدِہ حاصِل وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ بِمَا يَعْمَلُوْنَ اللہ تعالیٰ ای اوس تہِ سوروی پور

بِثَمَنٍۭ بَخۡسٍ دَرَاهِمَ مَعۡدُوۡدَةٍ ۚ وَكَانُوۡا فِيۡهِ مِنَ الزّٰهِدِيۡنَ ﴿۲۰﴾
وَقَالَ الَّذِى اشۡتَرٰىهُ مِنۡ مِّصۡرَ لِامۡرَاَتِهٖۤ اَكۡرِمِىۡ مَثۡوٰٮهُ
عَسٰٓى اَنۡ يَّـنۡفَعَنَاۤ اَوۡ نَـتَّخِذَهٗ وَلَدًا ؕ وَكَذٰلِكَ مَكَّنَّا لِيُوۡسُفَ
فِى الۡاَرۡضِ وَلِنُعَلِّمَهٗ مِنۡ تَاۡوِيۡلِ الۡاَحَادِيۡثِ ؕ وَاللّٰهُ غَالِبٌ

---

زانان یہِ تمِ کران آسِ۔ وورہ بایِ آسِ کُنہِ کُنہِ وقتہ اتھ گیرِ س نکھتل یِوان کھین چین واتناوان تمِ آسِ نہ یژھان حضرتِ یوسُف گژھہِ کیرِ س منز ہلاک سپدُن۔ بلکہ گژھہِ کانہہ شخصاہ تمِس کیرِ ہ منزہ کڈِتھ بیہِ کُنہِ شہر س واتناوُن۔ بیہِ گژھہِ نہ کُنہِ طریقہ حضرتِ یعقوبَس اطلاع سپدُن۔ غرض تمہِ دوہہ تہِ آی تمِ کیرِ س نکھتل۔ تتہ وُچھُکھ نہ حضرتِ یوسُف کینہہ تہِ۔ تو پتہ آیِ تمِ اتھ قافلَس نِشہِ۔ تمن دوپُکھ یہِ چھُو سون ژولمُت غلام اسِ چھنِ نہ یژھان یہِ پانَس نِشہِ رٹُن وَشَرَوۡهُ بِثَمَنٍۭ بَخۡسٍ دَرَاهِمَ مَعۡدُوۡدَةٍ تو پتہ کُن تمو وورہ بایو حضرتِ یوسف کم مولَس کنیژن درہمن لمہِ قافلہ کین کنیژن شخصن یا کن اہل قافلو وَكَانُوۡا فِيۡهِ مِنَ الزّٰهِدِيۡنَ تمِ ہینہ والِ آسِ تہندِ س مولِ ہینس اندر بے میل تہِ بے رغبت لاگان (تو پتہ نیو تموِ یہ حضرتِ یوسف پانَس سیت تہِ واتنوُکھ مِصر مصر س منز آوُ یمن نیلام کرنہ۔ آخری بُول سپز عزیزِ مِصر س پیٹھ ختم۔ بالاخر ہیوت تمی حضرتِ یوسُف مل وَقَالَ الَّذِى اشۡتَرٰىهُ مِنۡ مِّصۡرَ لِامۡرَاَتِهٖۤ اَكۡرِمِىۡ مَثۡوٰٮهُ تو پتہ دُون مِصرک تمِ شخصن یم حضرتِ یوسُف پتولا کہ مُول ہیوت (یعنی عزیزِ مصرن) زنانہ پننہ یَس زلیخا ناو اُوس تمِس لُوکٹ سنز جای تھاوزِ ہ سیٹھاہ بُلند یعنی اَمِس کرزِ ہ سیٹھاہ قدر تہِ تعظیم عَسٰٓى اَنۡ يَّـنۡفَعَنَاۤ شایَد یہِ ماواتناوِہ اَسہِ فایدہ۔ یتھ پاٹھِ روچھمُت لوکٹ بکار یِوان چھو اَوۡ نَـتَّخِذَهٗ وَلَدًا بلکہِ رچھون اسِ یہِ گوبرہ گرنز (کیازِ ہ اسہِ چھونہ پانَس اولاد کینہہ) وَكَذٰلِكَ مَكَّنَّا لِيُوۡسُفَ فِى الۡاَرۡضِ امی طریقہ دُیت اَسہِ حضرتِ یوسُفس تھودمُقام مصرہ کِس سر زمینس اندر۔ یتھ سُو مِصر س اندر تھدِ س مقامَس پیٹھ رُوزِتھ امورِ سلطنچ مہارت حاصِل ہیکہ کرِتھ۔ وَلِنُعَلِّمَهٗ مِنۡ تَاۡوِيۡلِ الۡاَحَادِيۡثِ بیہِ یُتھ اسِ سُو ہیچھناوون کتھن ہُند معنی تہِ مطلب (تمی منزہ گو خوابن ہُند تعبیر۔

عَلٰۤی اَمۡرِهٖ وَلٰـكِنَّ اَكۡثَرَ النَّاسِ لَا يَعۡلَمُوۡنَ ﴿۲۱﴾ وَلَمَّا بَلَغَ
اَشُدَّهٗۤ اٰتَيۡنٰهُ حُكۡمًا وَّعِلۡمًا ؕ وَكَذٰلِكَ نَجۡزِى الۡمُحۡسِنِيۡنَ ﴿۲۲﴾
وَرَاوَدَتۡهُ الَّتِىۡ هُوَ فِىۡ بَيۡتِهَا عَنۡ نَّـفۡسِهٖ وَغَلَّقَتِ الۡاَبۡوَابَ
وَقَالَتۡ هَيۡتَ لَـكَ ؕ قَالَ مَعَاذَ اللّٰهِ اِنَّهٗ رَبِّىۡۤ اَحۡسَنَ مَثۡوَاىَ ؕ
اِنَّهٗ لَا يُفۡلِحُ الظّٰلِمُوۡنَ ﴿۲۳﴾ وَلَقَدۡ هَمَّتۡ بِهٖ ۚ وَهَمَّ بِهَا لَوۡلَاۤ اَنۡ
رَّاٰ بُرۡهَانَ رَبِّهٖ ؕ كَذٰلِكَ لِنَصۡرِفَ عَنۡهُ السُّوۡۤءَ وَالۡفَحۡشَآءَ ؕ

---

غرض اوس تمن نجات دِنہ اَندرہ دولتِ ظاہری و باطنی سیت نوازِش کرُن **وَاللّٰهُ غَالِبٌ عَلٰۤی اَمۡرِهٖ وَلٰـكِنَّ اَكۡثَرَ النَّاسِ لَا يَعۡلَمُوۡنَ** اللہ تعالیٰ چھُو غالب پننہ نِس یژھتس امرس پیٹھ۔ یہِ سُو یژھان چھُوتی چھُو بنان مگر وارِیاہ لُوکھ چھنہِ زانان **وَلَمَّا بَلَغَ اَشُدَّهٗۤ اٰتَيۡنٰهُ حُكۡمًا وَّعِلۡمًا** تو پتہ یلہِ حضرتِ یوسف ووت قوتکس کمالس یعنی کاملِ جوانی عطاکوراَسہِ تس گاٹہ جارتہ علم **وَكَذٰلِكَ نَجۡزِى الۡمُحۡسِنِيۡنَ** تِتھےِ پاٹھِ چھِہ اسِ رژہ کامہِ کرہ وُنین رُت جزادِوان **وَرَاوَدَتۡهُ الَّتِىۡ هُوَ فِىۡ بَيۡتِهَا عَنۡ نَّـفۡسِهٖ** بیہِ لج پتہِ حضرتِ یُوسفس سُو زَنانہ یمسندِس گرس منز سُو اوس تِہند حسن و جمال وِچھتِ ییچھہ کامہِ خیطرہ۔ اکہ دوہہ لوبُن موقعہ رٹنِ تمِ خلوت **وَغَلَّقَتِ الۡاَبۡوَابَ** کٹھین ہندِ دروازہ کرِن بند **وَقَالَتۡ هَيۡتَ لَـكَ** تو پتہ لج دپنہِ جلد پہن وَلہ۔ میون تمنا کر پورہ تمو دوپُس یہِ گٔس چھکھ ونان۔ دوپُن ژہ چھسَی ونان بوٚ کٔر تھس تارہ **قَالَ مَعَاذَ اللّٰهِ** حضرتِ یوسفن دوپُس پناہ بخدا یژھ کتھی مہ کر **اِنَّهٗ رَبِّىۡۤ اَحۡسَنَ مَثۡوَاىَ** پٔزِ پاٹھِ ام چانِ خاندارن عزیزِ مِصرن روچھُس بو، پولس یُو رژہِ جایہ تھوونس بو کیاہ بوٚ کرا اَتھ احسانس بدَل تمسُند عزّت داغدار یہِ گو سراسر ظُلم **اِنَّهٗ لَا يُفۡلِحُ الظّٰلِمُوۡنَ** پٔزِ پاٹھِ تِتھین ظالمنِ تہ حق فراموشن ہندِہ خیطرہ چھنہ کانہہ کامیابی۔ اکثر چھِہ امہِ قسمکِ لُوکھ زیادہ دُنیاسی منز ذلیل تہ رُسواسپدان آخر تگ وبال گو آتھی **وَلَقَدۡ هَمَّتۡ بِهٖ ۚ وَهَمَّ بِهَا لَوۡلَاۤ اَنۡ رَّاٰ بُرۡهَانَ رَبِّهٖ** پٔزِ پاٹھِ زلیخایہِ کریو قصد تمن نِشہِ ییچھ کامہِ ہُند۔ تموتہِ ہرگاہ نے تمِ وچھہ ہَن پننہ نِس پروردگارہ سنزن

إِنَّهُۥ مِنْ عِبَادِنَا ٱلْمُخْلَصِينَ ﴿٢٤﴾ وَٱسْتَبَقَا ٱلْبَابَ وَقَدَّتْ قَمِيصَهُۥ مِن دُبُرٍ وَأَلْفَيَا سَيِّدَهَا لَدَا ٱلْبَابِ ۚ قَالَتْ مَا جَزَآءُ مَنْ أَرَادَ بِأَهْلِكَ سُوٓءًا إِلَّآ أَن يُسْجَنَ أَوْ عَذَابٌ أَلِيمٌ ﴿٢٥﴾ قَالَ هِىَ رَٰوَدَتْنِى عَن نَّفْسِى ۚ وَشَهِدَ شَاهِدٌ مِّنْ أَهْلِهَآ إِن كَانَ قَمِيصُهُۥ قُدَّ مِن قُبُلٍ فَصَدَقَتْ وَهُوَ مِنَ ٱلْكَٰذِبِينَ ﴿٢٦﴾

---

دلیل مگر تُھند ارادہ عزٔ مِکس در جس دوت نہ۔ بلکہِ تُھند ارادہ اوس روزہ دارہ سُند آبِ سر دوچھتِ آبس کُن رغبت سپدُن ہیؤ۔ تمہِ رغبتہ سیتِ چھنہ روزہ پھُٹان۔ بلکہ چھُور غبت سپدِ تھ پنُن پان پتھ رٹُن تہ صبر کرُن باعثِ اجر و ثواب بنان **كَذَٰلِكَ لِنَصْرِفَ عَنْهُ ٱلسُّوٓءَ وَٱلْفَحْشَآءَ** یتھے پاٹھِ دُیت اَسہِ تِمن توفیق عصمتُک یُتھ دُور کرَواسِ تِمن نِشہِ بدی تہ بےچھ کوم **إِنَّهُۥ مِنْ عِبَادِنَا ٱلْمُخْلَصِينَ** بے شک سُو حضرتِ یوسُف چھُو سانیو بر گزیدہ بندَواندرہ، پیغمبر واندرہ تِمن عصمت و پاکی لازم چھہ۔ امہِ زلیخایہ کور بیہِ پنُن خیال پیش۔ حضرتِ یُوسف ژُل پنُن پان بچاونہ خیطرہ سو دُور یُکھ پتہ **وَٱسْتَبَقَا ٱلْبَابَ وَقَدَّتْ قَمِيصَهُۥ مِن دُبُرٍ** دوشوے دورے بہِ درواژس کُن حضرتِ یُوسف ژلنہ خیطرہ، زلیخا تِمن رٹنہ خیطرہ۔ تمہِ لایِ تِمن تھپ سُو آیہِ تھزِ ہ کرُتنہ تھرُکن کرتِن آیہِ ژھینتھ **وَأَلْفَيَا سَيِّدَهَا لَدَا ٱلْبَابِ** دوشون سمُکھ خاوند زلیخایہِ ہُند درواژس تل زلیخاویسر ییہِ **قَالَتْ مَا جَزَآءُ مَنْ أَرَادَ بِأَهْلِكَ سُوٓءًا إِلَّآ أَن يُسْجَنَ أَوْ عَذَابٌ أَلِيمٌ** زلیخایہ دُوپ کانہہ سزا چھُونہ تس شخص یُس چانین باژن سیتِ تیچھِ کامہِ ہُند ارادہ گرِہ مگر ای زِہ سُو ییہِ جیلخانس منز بند کرنہ یا اِیس سخت دردناک عذاب کرنہ **قَالَ هِىَ رَٰوَدَتْنِى عَن نَّفْسِى** حضرتِ یوسفن دُوپ یہِ چھہ مہِ کُن اِشارہ کران حالانکہِ یُہے چھہ پتہ لگمژ مہِ مہِ نِشہِ پنُن مطلب کڈنہ خیطرہ **وَشَهِدَ شَاهِدٌ مِّنْ أَهْلِهَآ** اتھ موقعس پیٹھ دِژ گواہی تمسندِ وی رشتہ دارَو منزہٕ اکِ شیر خوار بچن حضرتِ یُوسفہ سندِس بری تہ پاک آسنس پیٹھ **إِن كَانَ قَمِيصُهُۥ قُدَّ مِن قُبُلٍ فَصَدَقَتْ وَهُوَ مِنَ ٱلْكَٰذِبِينَ** تموِ دوپ ہرگاہ حضرتِ یوسفہ سنز کرُتنِ برونٹھمہ طرفہ ژھینمژ

وَاِنْ كَانَ قَمِيْصُهٗ قُدَّ مِنْ دُبُرٍ فَكَذَبَتْ وَهُوَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ ﴿۲۷﴾ فَلَمَّا رَاٰ قَمِيْصَهٗ قُدَّ مِنْ دُبُرٍ قَالَ اِنَّهٗ مِنْ كَيْدِكُنَّ ؕ اِنَّ كَيْدَكُنَّ عَظِيْمٌ ﴿۲۸﴾ يُوْسُفُ اَعْرِضْ عَنْ هٰذَا ٚ وَاسْتَغْفِرِيْ لِذَنْۢبِكِ ۚۖ اِنَّكِ كُنْتِ مِنَ الْخٰطِـِٕيْنَ ﴿۲۹﴾ وَقَالَ نِسْوَةٌ فِى الْمَدِيْنَةِ امْرَاَتُ الْعَزِيْزِ تُرَاوِدُ فَتٰىهَا عَنْ نَّفْسِهٖ ۚ قَدْ شَغَفَهَا حُبًّا ؕ اِنَّا لَنَرٰىهَا فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿۳۰﴾ فَلَمَّا سَمِعَتْ بِمَكْرِهِنَّ اَرْسَلَتْ اِلَيْهِنَّ وَاَعْتَدَتْ لَهُنَّ مُتَّكَاً

---

وَاِنْ كَانَ قَمِيْصُهٗ قُدَّ مِنْ دُبُرٍ حضرتِ یوسُف چھُو تتھ بَدَل ونان آسہ، تلہِ چھہ زلیخا پوزونان۔ فَكَذَبَتْ وَهُوَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ ہرگاہ تہنز کرُتنِ تھرٕ کِن ژھیمٕژ آسہِ تیلہِ چھہ زلیخا اپزٕ ونان حضرتِ یوسُف چھو پزٕ زیور فَلَمَّا رَاٰ قَمِيْصَهٗ قُدَّ مِنْ دُبُرٍ قَالَ اِنَّهٗ مِنْ كَيْدِكُنَّ اِنَّ كَيْدَكُنَّ عَظِيْمٌ یلہِ تمسندِ خاوندن وُچھِ تہنز کرُتنِ تھرٕ کِنی ژھیمٕژ دپُن زلیخایہ کُن یہِ چھہ تہنزی شیطنت تہٕ چالاکی۔ پزٕ پاٹھِ تُہند مکروفریب تہٕ شیطنت چھہ سیٹھاہ بڈٕ يُوْسُفُ اَعْرِضْ عَنْ هٰذَا اے یوسُف امہِ نشہِ پھیرو، یہ کتھ ژٹوِ وَاسْتَغْفِرِيْ لِذَنْۢبِكِ اِنَّكِ كُنْتِ مِنَ الْخٰطِـِٕيْنَ ای زلیخا ژہ منگ معافی پنہ نہ قصُورہ خیطرہ۔ بیشک ژی چھکھ خطاکار تہٕ مُجرم۔ تو پتہ سپدُیہِ معاملہ مُشہور شہرس اندر چنانچہ وَقَالَ نِسْوَةٌ فِى الْمَدِيْنَةِ امْرَاَتُ الْعَزِيْزِ تُرَاوِدُ فَتٰىهَا عَنْ نَّفْسِهٖ مصرس اندر لجہِ واریاہ زنانہ ونہِ عزیزِ مصرہ سنزٕ آشنہِ چھُو دِل لوگمُت پنہ نِس غلامَس پتھ۔ سۄ چھہ لجمٕژ پتہ تس غلامَس پنُن ناجائز مطلب کڈنہ خیطرہ قَدْ شَغَفَهَا حُبًّا تسُند دِل چھُو پھُٹمت تہندِ محبتّہ سیتِ اِنَّا لَنَرٰىهَا فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ اسِ چھِن سُو زانان ڈٕجمٕژ۔ کیاہ گوس وارہ کارہ رُون آسِتھ نوکرس پتھ پھُسُن۔ یہ کاژٕ رسوائی تہٕ خجالت چھہ۔ فَلَمَّا سَمِعَتْ بِمَكْرِهِنَّ اَرْسَلَتْ اِلَيْهِنَّ پَس یلہِ زلیخایہ بُوز زنانن ہنزٕ یہِ بدگوئی تہٕ ملامَت کرنِ۔ تمہِ

وَّاٰتَتْ كُلَّ وَاحِدَةٍ مِّنْهُنَّ سِكِّيْنًا وَّقَالَتِ اخْرُجْ عَلَيْهِنَّ ۚ فَلَمَّا
رَاَيْنَهٗۤ اَكْبَرْنَهٗ وَقَطَّعْنَ اَيْدِيَهُنَّ ۫ وَقُلْنَ حَاشَ لِلّٰهِ مَا هٰذَا بَشَرًا ؕ
اِنْ هٰذَاۤ اِلَّا مَلَكٌ كَرِيْمٌ ﴿٣١﴾ قَالَتْ فَذٰلِكُنَّ الَّذِيْ لُمْتُنَّنِيْ فِيْهِ ؕ وَ
لَقَدْ رَاوَدْتُّهٗ عَنْ نَّفْسِهٖ فَاسْتَعْصَمَ ؕ وَلَئِنْ لَّمْ يَفْعَلْ مَاۤ اٰمُرُهٗ
لَيُسْجَنَنَّ وَلَيَكُوْنًا مِّنَ الصّٰغِرِيْنَ ﴿٣٢﴾ قَالَ رَبِّ السِّجْنُ اَحَبُّ

---

سوز تمن نادس دُوپنکھ ای زنانو توہہِ چھہ میانہِ گرہِ دعوت وَاَعْتَدَتْ لَهُنَّ مُتَّكَاً سجاو تھ تھاوِن تہندِ ہ
خیطر ہ مسندہ، تکیہ وار توپتہ یلہِ تمہِ زنانہ آیہِ تمن برونٹھ کنہِ آی تھاونہ کھینہ چینکِ چیز بیہِ واریاہ میوہ تمو
منزہ واریاہ میوہ شراکہ ہچُوسیتِ ژٹنس قابل آسِ۔ وَّاٰتَتْ كُلَّ وَاحِدَةٍ مِّنْهُنَّ سِكِّيْنًا لہٰذا دِتُن پرتھ
اکس تموزنانو اندرہ اکھ اکھ شراکہ ہچاہ میوہ ژٹنہ خیطرہ (یلہِ تمہِ زنانہ مشغول سپزہ میوہ کھینس سیتِ
وَّقَالَتِ اخْرُجْ عَلَيْهِنَّ زلیخایہ دُوپ حضرتِ یُوسفس تمِ بیہِ کُنہِ گژھس منز آسہن تہہ نیرِ ونا نیبر تمن
زنانن برونٹھ کُن۔ چنانچہِ درای تمِ فَلَمَّا رَاَيْنَهٗۤ اَكْبَرْنَهٗ پتہ یلہِ تموِ زنانو حضرتِ یوسُف ڈچھ سیٹھاہ
بوڈگنز روڈُکھ حسُن وجمالس اندر۔ سُوو چھتھ ویسریہ ہوش روڈُکھ نہ کینہہ وَقَطَّعْنَ اَيْدِيَهُنَّ توپتہ
سپزہ بے اختیار میوہ بدَل ژٹکھ اَتھہ پننِ وَقُلْنَ حَاشَ لِلّٰهِ بیہِ دوپکھ مُنزہ تہ پاک چھو اللہ تعالیٰ مَا هٰذَا
بَشَرًا یہِ حضرتِ یوسُف چھونہ بشر (بشرن اندر چھونہ یتھ حسُن وجمال اَسہِ وچھمُتوی) اِنْ هٰذَاۤ
اِلَّا مَلَكٌ كَرِيْمٌ یہِ چھونہ مگر عزتہ ڈول ملکاہ۔ انسانن اندرگتہِ چھُو یتھ حسُن وجمال آسان البتہ ملکھی چھہِ
آسان یتھ بُندہ بانِ قَالَتْ فَذٰلِكُنَّ الَّذِيْ لُمْتُنَّنِيْ فِيْهِ زلیخایہ دوپچھ یُوہے کیا گو سُو صاحِب تمسندِ ہ محبتہ
چہِ پامہ دِژوہ توہہِ مےکہِ زلیخایہ چھُو غلامس پتھ دِل لوگمت۔ آووہ وونِ بوزنہ بوما چھس بلِ قیمژ۔ خیر یُس
یہِ وَنہِ تہ تہِ مہ چھونہ کانسہِ ہنزن پامن ہند پروا۔ بو چھس نئن پاٹھِ ونان وَلَقَدْ رَاوَدْتُّهٗ عَنْ نَّفْسِهٖ پنز
پاٹھِ مہِ کُر تس اَتہ گتھہ۔ تہند دِل پانس کُن پھرنہ خیطرہ کہِ سُو کرِہ نا میانِ خواہش پورہ فَاسْتَعْصَمَ مگر تمِ
کُر کوششِ معصُوم تہ پاک روزنچ۔ وَلَئِنْ لَّمْ يَفْعَلْ مَاۤ اٰمُرُهٗ وُنہِ تہِ چھس بوونان تس ہرگاہ نے سُو میانِ

إِلَيَّ مِمَّا يَدْعُونَنِي إِلَيْهِ ۖ وَإِلَّا تَصْرِفْ عَنِّي كَيْدَهُنَّ أَصْبُ إِلَيْهِنَّ وَأَكُن مِّنَ الْجَاهِلِينَ ﴿٣٣﴾ فَاسْتَجَابَ لَهُ رَبُّهُ فَصَرَفَ عَنْهُ كَيْدَهُنَّ ۚ إِنَّهُ هُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ ﴿٣٤﴾ ثُمَّ بَدَا لَهُم مِّن بَعْدِ مَا رَأَوُا الْآيَاتِ لَيَسْجُنُنَّهُ حَتَّىٰ حِينٍ ﴿٣٥﴾ وَدَخَلَ مَعَهُ السِّجْنَ فَتَيَانِ ۖ قَالَ

---

خواہش پۆرہ کرِہ لَيُسْجَنَنَّ وَلَيَكُونًا مِّنَ الصَّاغِرِينَ تلہِ ایہِ سُو ضرور قید تھاونہ۔ بیہ سپدِہ سُو بے قدر تہ بے اعتبار۔ یمہ زنانہ اَتھ مجلسہِ منز آسہِ تمو دُوپ زلیخایہ کہِ اسِ مانزاوون یہ۔ اَسہِ دِکھنا امسِ سیتِ کتھ بات کرنُک اجازت۔ تمہِ دوپُکھ ادہ کیا۔ کنیز ھاے کَرِہ ہو۔ چنانچہ تمہِ درایہ اکھ اکھ امسِ سیت امسِ پتِ فریفتہ سپز مژہ قَالَ رَبِّ السِّجْنُ أَحَبُّ إِلَيَّ مِمَّا يَدْعُونَنِي إِلَيْهِ حضرتِ یوسفن یلہِ وُچھ زنانن ہُندیہِ حال کہِ کوپاٹھِ گئیہ یمہ اگادِہ تِمَنِ کیاہ بنہِ۔ چنانچہ تمو کور دُعا۔ مُونگکھ خدایس ای میانہِ پروردگارہ قید خانَے چھُو مہِ زیادہ پسند تمہِ یِچھ کامہِ خوتہ یتھ کُن مہ یمہِ زنانہ نادِ دِوان چھہ وَإِلَّا تَصْرِفْ عَنِّي كَيْدَهُنَّ أَصْبُ إِلَيْهِنَّ وَأَكُن مِّنَ الْجَاهِلِينَ ای میانہِ خدایہ ژہ نَے دُور کرکھ تہ پھیر کھ مہ نِشہِ تِہند مکرو فریب خبر چھا بو ماسپدہ مایِل تِمَنِ زنانن کُن۔ بیہ بنہ بو نادانو اندرہ فَاسْتَجَابَ لَهُ رَبُّهُ فَصَرَفَ عَنْهُ كَيْدَهُنَّ پَس کور اللہ تعالیٰ اَن اجابت تِہندِس منگنس تِمَنِ زنانن ہُند مکرو فریب پھرِن تِمَن نِشہِ إِنَّهُ هُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ بڑپاٹھ سو چھو دُعا بوزہ ون سیٹھاہ زانن وول۔ ثُمَّ بَدَا لَهُم مِّن بَعْدِ مَا رَأَوُا الْآيَاتِ لَيَسْجُنُنَّهُ حَتَّىٰ حِينٍ تمہ پتہ آو بوزنہ تِمَن قرین مصلحت کینہہ کالاہ حضرتِ یوسف قید تھاوُن۔ باوجود اینکہ تمو آسِ واریاہ نِشانہ تہ علامات تِہندِہ براء تکِ تہ پاکی ہِندو چھمتِ۔ مگر عوامن اندر تِمیُک چرچہ منقطع کرنہ خیطرہ بیہِ وو پر شہرک اکھ بے کس اِنسان غلامی ہِندِس حالس اندر تِمَن کُہہ کرِہاحمایت چنانچہ تھاوِک تمِ بے جرُم کینہہ کالاہ جیل خانَس اندر وَدَخَلَ مَعَهُ السِّجْنَ فَتَيَانِ بیہِ واتِ تِمَن نِشہِ قید خانَس منز نوجوان جوراہ پادشاہ سندیو خدمتگار روانَدرہ۔ اکھ اُوس ساقی۔ بیاکھ اُوس ژوچہِ ژھران۔ تِمَن دون متعلق اُوس یہِ جرُم تِمَن پیٹھ اوس شُبہ کہِ تِم آسِ پادشہس زہر دِتھ مارُن یژھان

اَحَدُهُمَآ اِنِّيْٓ اَرٰىنِيْٓ اَعْصِرُ خَمْرًا ۚ وَقَالَ الْاٰخَرُ اِنِّيْٓ اَرٰىنِيْٓ اَحْمِلُ فَوْقَ رَاْسِيْ خُبْزًا تَاْكُلُ الطَّيْرُ مِنْهُ ۭ نَبِّئْنَا بِتَاْوِيْلِهٖ ۚ اِنَّا نَرٰىكَ مِنَ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿٣٦﴾ قَالَ لَا يَاْتِيْكُمَا طَعَامٌ تُرْزَقٰنِهٖٓ اِلَّا نَبَّاْتُكُمَا بِتَاْوِيْلِهٖ قَبْلَ اَنْ يَّاْتِيَكُمَا ۭ ذٰلِكُمَا مِمَّا عَلَّمَنِيْ رَبِّيْ ۭ اِنِّيْ تَرَكْتُ مِلَّةَ قَوْمٍ لَّا يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَهُمْ بِالْاٰخِرَةِ هُمْ كٰفِرُوْنَ ﴿٣٧﴾ وَاتَّبَعْتُ مِلَّةَ اٰبَاۗءِيْٓ اِبْرٰهِيْمَ وَاِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ ۭ مَا كَانَ

---

تموی دوپیوزنیوودن پنُن خواب حضرتِ یوسفس قَالَ اَحَدُهُمَآ اِنِّيْٓ اَرٰىنِيْٓ اَعْصِرُ خَمْرًا اِک زنِ دُوپ مہِ حض وُچھ خوابس اندر زَن بُو دَچھِ رَس چیران۔ وَقَالَ الْاٰخَرُ اِنِّيْٓ اَرٰىنِيْٓ اَحْمِلُ فَوْقَ رَاْسِيْ خُبْزًا تَاْكُلُ الطَّيْرُ مِنْهُ بے زِن دُوپ مہِ حض وُچھ زَن بو کلس پیٹھ ژوچہ تُلان تموی ژوچو منزہ جانوار کھیوان نَبِّئْنَا بِتَاْوِيْلِهٖ اِنَّا نَرٰىكَ مِنَ الْمُحْسِنِيْنَ اَسہِ وننہ ہرٰ امہِ خوابُک تعبیر۔ اَسہِ ہرٰ چھُو کھ ژہِ یوان بوزنہ نیکو کارَواندرہ قَالَ لَا يَاْتِيْكُمَا طَعَامٌ تُرْزَقٰنِهٖٓ اِلَّا نَبَّاْتُكُمَا بِتَاْوِيْلِهٖ قَبْلَ اَنْ يَّاْتِيَكُمَا حضرتِ یوسفن دوپُکھ توہہِ نشہِ کھین واتنہ برونٹھ کرہ بو بیان توہہِ تمہِ خوابُچ تعبیر ذٰلِكُمَا مِمَّا عَلَّمَنِيْ رَبِّيْ خوابُک تعبیر بیان کرُن چھُو تموی علموِ اندرہ یم عُلوم بو پننِ پروردگارن ہیچھِ ناوس (گوڈہ بوزِمُیون عقیدہ کیاہ چھُو) اِنِّيْ تَرَكْتُ مِلَّةَ قَوْمٍ لَّا يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَهُمْ بِالْاٰخِرَةِ هُمْ كٰفِرُوْنَ پزِپاٹھِ مہِ چھُو ترووُمت تمن لُوکن ہند دین تہ مذہب یم نہ پزٕہ کران چھہِ معبُودِ برحقس۔ بیہ چھہِ تم آخرِتس تہ اِنکار کران وَاتَّبَعْتُ مِلَّةَ اٰبَاۗءِيْٓ اِبْرٰهِيْمَ وَاِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ بو چھُس پتہ پتہ پکان متابعت تہ پیروی کران پنہ نین مالین بڈِ بَبن ہندس دِینس۔ تمِ گے حضرتِ ابراہیم علیہ السلام۔ جدِّ بزرگوار میون۔ حضرتِ اسحٰق علیہ السلام بڈِ بابہ صیب میون۔ حضرتِ یعقوب علیہ السلام بابہ صیب میون۔ یمہِ مذہبُک رُکنِ اعظم چھُو مَا كَانَ لَنَآ اَنْ نُّشْرِكَ بِاللّٰهِ مِنْ شَيْءٍ ہرگز پزِہ نہ اَسہِ اسِ کیا بناوُون خدایہِ سُند شریک کانہہ

لَنَآ اَنْ نُّشْرِكَ بِاللّٰهِ مِنْ شَیْءٍ ؕ ذٰلِكَ مِنْ فَضْلِ اللّٰهِ عَلَیْنَا
وَعَلَی النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا یَشْكُرُوْنَ ﴿۳۸﴾ یٰصَاحِبَیِ
السِّجْنِ ءَاَرْبَابٌ مُّتَفَرِّقُوْنَ خَیْرٌ اَمِ اللّٰهُ الْوَاحِدُ الْقَهَّارُ ؕ ﴿۳۹﴾
مَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖۤ اِلَّاۤ اَسْمَآءً سَمَّیْتُمُوْهَآ اَنْتُمْ وَ
اٰبَآؤُكُمْ مَّاۤ اَنْزَلَ اللّٰهُ بِهَا مِنْ سُلْطٰنٍ ؕ اِنِ الْحُكْمُ اِلَّا لِلّٰهِ ؕ
اَمَرَ اَلَّا تَعْبُدُوْۤا اِلَّاۤ اِیَّاهُ ؕ ذٰلِكَ الدِّیْنُ الْقَیِّمُ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ
النَّاسِ لَا یَعْلَمُوْنَ ﴿۴۰﴾ یٰصَاحِبَیِ السِّجْنِ اَمَّاۤ اَحَدُكُمَا

---

ذٰلِكَ مِنْ فَضْلِ اللّٰهِ عَلَیْنَا وَعَلَی النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا یَشْكُرُوْنَ یمہ چیز اۂ کُنہِ چیزس اندر قسمُک صحیح اعتقاد آسُن چھُو خدایہِ سنز بڑ مہربانی تہ بوڈ فضل اسہِ پیٹھ تہ بیہِ سارنی لُوکن پیٹھ۔ لیکن واریاہ لُوکھ چھِنہ اَتھ نعمتس قدر کران۔ امکہِ حاصِل کرنچ کوشش کران یٰصَاحِبَیِ السِّجْنِ ءَاَرْبَابٌ مُّتَفَرِّقُوْنَ خَیْرٌ اَمِ اللّٰهُ الْوَاحِدُ الْقَهَّارُ ای میانیو قید خانہ کیو دوٚیوٚ رفیقو تُہی ونتو کیاہ واریاہ معبُود آسُن الگ الگ چھارُت کِنہ کُنوی معبُود آسُن۔ یُس قوتہ وول چھُو۔ امیک جواب چھُو ظاہر کہِ کنوی معبُود چھُورُت مَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖۤ اِلَّاۤ اَسْمَآءً سَمَّیْتُمُوْهَآ اَنْتُمْ وَاٰبَآؤُكُمْ تُہہ چھوِہ نہ عبادت کران خدایَس ورای مگر کینژن ناون ہنز یِم توہہِ بیہِ تہندیو مالیو بُڈ بَبو تھاومتِ چھِہ کینژن پوٚ تیلن مُقرر کٔرِ تھ مَّاۤ اَنْزَلَ اللّٰهُ بِهَا مِنْ سُلْطٰنٍ اللہ تعالیٰ اَن چھنہ سوزمژ تہندہِ معبُود آسنہ خیطرہ کانہہ دلیلاہ۔ نہ عقلی نہ نقلی۔ اِنِ الْحُكْمُ اِلَّا لِلّٰهِ کُنہِ کامہِ ہندہ حُکم دِنُک اختیار چھُونہ کانسہ خُدایَس ورای اَمَرَ اَلَّا تَعْبُدُوْۤا اِلَّاۤ اِیَّاهُ تم چھُو حُکم کورمُت ای زِہ کانسہِ ہنز عبادت مہ کٔرو مگر تہنزی یاژ۔ اتھ حُکمس پیٹھ گژھہِ عمل کرنِ ذٰلِكَ الدِّیْنُ الْقَیِّمُ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا یَعْلَمُوْنَ یُوہے چھُو یعنی اللہ تعالیٰ ای مخصوص کورُن توحید و عبادتہ سیتِ راہِ راست تہ سیٚزٕ وَتھ۔ مگر واریاہ لُوکھ چھِنہ زانان۔ یہِ کتھ چھِنہ اختیار

فَيَسْقِيْ رَبَّهٗ خَمْرًا ۚ وَاَمَّا الْاٰخَرُ فَيُصْلَبُ فَتَاْكُلُ الطَّيْرُ
مِنْ رَّاْسِهٖ ؕ قُضِيَ الْاَمْرُ الَّذِيْ فِيْهِ تَسْتَفْتِيٰنِ ﴿٤١﴾ وَقَالَ
لِلَّذِيْ ظَنَّ اَنَّهٗ نَاجٍ مِّنْهُمَا اذْكُرْنِيْ عِنْدَ رَبِّكَ ۫ فَاَنْسٰهُ
الشَّيْطٰنُ ذِكْرَ رَبِّهٖ فَلَبِثَ فِي السِّجْنِ بِضْعَ سِنِيْنَ ﴿٤٢﴾ ع
وَقَالَ الْمَلِكُ اِنِّيْۤ اَرٰى سَبْعَ بَقَرٰتٍ سِمَانٍ يَّاْكُلُهُنَّ
سَبْعٌ عِجَافٌ وَّسَبْعَ سُنْۢبُلٰتٍ خُضْرٍ وَّاُخَرَ يٰبِسٰتٍ ؕ يٰۤاَيُّهَا

---

کران يٰصَاحِبَيِ السِّجْنِ اَمَّاۤ اَحَدُكُمَا فَيَسْقِيْ رَبَّهٗ خَمْرًا ای میانیو قید خانہ کیو رفیقو توہہِ اندرہ
یُس اکھ شخص پاد شہس شراب اُوس چاوان۔ سُو سپدِ ہ جرُمہ نِشہِ بَری۔ تو پتہ سپدِ ہ پنہِ کامہ پیٹھ بیہ
بحال۔ تو پتہ ہیہِ سُو بیہ پنہ نِس مالکس شراب چاوُنچ کام کرنِ وَاَمَّا الْاٰخَرُ فَيُصْلَبُ فَتَاْكُلُ الطَّيْرُ مِنْ
رَّاْسِهٖ ووِنِ یُس بیاکھ زون چھُو یُس پادشہہ سُند باورچی تہ ژوچہِ تُھرہ ڈن اوس تمِس پیٹھ سپدِ ہ جرُم
ثابت۔ تو پتہ ییہِ سُو پھہہ دِنہ۔ تو پتہ کھین جانور تمسندِہ کلگ کوڈ قُضِيَ الْاَمْرُ الَّذِيْ فِيْهِ تَسْتَفْتِيٰنِ
یہِ فیصلہِ چھُو آمُت کرنہ خدایہِ سندِہ طرفہ۔ یمیُک تُہہ پرژھان چھوِہ۔ اَتھ سپدِ ہ نہ اَدلہ بَدَل وَقَالَ
لِلَّذِيْ ظَنَّ اَنَّهٗ نَاجٍ مِّنْهُمَا تو پتہ ڈون حضرتِ یوسُفن یمو دوِیو اندرہ تَس شخصس یَس نجات لبُن
اُوس تہہدِہ گُمانہ اذْكُرْنِيْ عِنْدَ رَبِّكَ میون تذکرِہ کورُتھ ژِہ پنہ نِس آغس تہ مالکس نِشہِ یلہِ ژِہ تَس
نِشہِ واتک۔ کہِ قید خانس منز چھُو اکھ شخصاہ بے قصُور فَاَنْسٰهُ الشَّيْطٰنُ ذِكْرَ رَبِّهٖ پَس مشرووِ تَس
شیطانن آغس نِشہِ حضرتِ یوسُفن حال بیان کرُن فَلَبِثَ فِي السِّجْنِ بِضْعَ سِنِيْنَ تمہِ مُوکھ رُود
حضرتِ یوسف قید خانس اندر کینژن وَرہَن وَقَالَ الْمَلِكُ مصرک پادشہن دوپ مہِ ڈِچھ خواب۔
ساری اراکینِ سلطنت کرن جمع اِنِّيْۤ اَرٰى سَبْعَ بَقَرٰتٍ سِمَانٍ يَّاْكُلُهُنَّ سَبْعٌ عِجَافٌ مہِ وچھہِ
خوابس اندر ست (٧) گاوہ وتھچھِ وتھچھِ۔ تمنی کھیوان ست (٧) گاوہ ہو چھمژہ تہ لاغر وَّسَبْعَ سُنْۢبُلٰتٍ خُضْرٍ
وَّاُخَرَ يٰبِسٰتٍ بیہِ وُچھم ست (٧) ہیلِ غلکِ سبز تازہ بیہِ ست (٧) ہیل ہو کھمتِ۔ تمے ولنہِ یوان سر سبز ستن

الْمَلَاُ اَفْتُوْنِیْ فِیْ رُءْیَایَ اِنْ كُنْتُمْ لِلرُّءْیَا تَعْبُرُوْنَ ﴿۴۳﴾
قَالُوْۤا اَضْغَاثُ اَحْلَامٍ ۚ وَ مَا نَحْنُ بِتَاْوِیْلِ الْاَحْلَامِ بِعٰلِمِیْنَ ﴿۴۴﴾
وَ قَالَ الَّذِیْ نَجَا مِنْهُمَا وَ ادَّكَرَ بَعْدَ اُمَّةٍ اَنَا اُنَبِّئُكُمْ بِتَاْوِیْلِهٖ
فَاَرْسِلُوْنِ ﴿۴۵﴾ یُوْسُفُ اَیُّهَا الصِّدِّیْقُ اَفْتِنَا فِیْ سَبْعِ بَقَرٰتٍ
سِمَانٍ یَّاْكُلُهُنَّ سَبْعٌ عِجَافٌ وَّ سَبْعِ سُنْۢبُلٰتٍ خُضْرٍ وَّ اُخَرَ
یٰبِسٰتٍ ۙ لَّعَلِّیْۤ اَرْجِعُ اِلَی النَّاسِ لَعَلَّهُمْ یَعْلَمُوْنَ ﴿۴۶﴾ قَالَ تَزْرَعُوْنَ

---

ہیلین تو پتہ تمِ تہٕ ہو کھت گژھان یٰۤاَیُّهَا الْمَلَاُ اَفْتُوْنِیْ فِیْ رُءْیَایَ اِنْ كُنْتُمْ لِلرُّءْیَا تَعْبُرُوْنَ ای
دربار یو بیان کرِو تعبیر میانہِ خوابُک چھوے تُہہ خوابن ہُند تعبیر زانان قَالُوْۤا اَضْغَاثُ اَحْلَامٍ
وَ مَا نَحْنُ بِتَاْوِیْلِ الْاَحْلَامِ بِعٰلِمِیْنَ تموٚ دوپُس یم چھِ پریشان خیالات۔ اسِ چھنہِ امہِ قسمہ کین خوابن
ہُند تعبیر کینہہ زانان۔ کیازہ اَسہِ چھہ مُلکی انتظام کرنُچ مہارت۔ تعبیر خواب بیان کرنُچ مہارت چھنہ
اَسہِ وَ قَالَ الَّذِیْ نَجَا مِنْهُمَا تو پتہ دوپ تمِ شخصن یُس قید خانہ منزہ موکلیومُت اوس، مُقدمس منز بری
سپدُمت اوس یاد شُہس نشہِ بیہ وو تمت اوس تموٚ دویوٚ زینوا اندرہ یم قید خانس اندر حضرتِ یوسفس سیتِ
آسِ وَ ادَّكَرَ بَعْدَ اُمَّةٍ تَس پیہ ژیتس واریاہہ کالِ حضرتِ یوسفہ سنز وصیت یُوسہ تمو قید خانہ منزہ
نیر نکہِ وقتہ کرمژ آسہس۔ تمِ دُوپ اَنَا اُنَبِّئُكُمْ بِتَاْوِیْلِهٖ فَاَرْسِلُوْنِ بوونوہ توہہِ تعبیر مہِ دِیو تُہہ
اجازت قید خانس تانِ گژھنُک۔ تموٚ دُیت ہَس اجازت تہٕ سُو آو حضرتِ یوسفس نشہِ۔ عرض کورُن
یُوْسُفُ اَیُّهَا الصِّدِّیْقُ ای حضرتِ یوسف تُہہ ہز چھوِ سیٹھاہ پوزتہ صحیح تعبیر کرہ ونِ اَفْتِنَا فِیْ سَبْعِ
بَقَرٰتٍ سِمَانٍ یَّاْكُلُهُنَّ سَبْعٌ عِجَافٌ وَّ سَبْعِ سُنْۢبُلٰتٍ خُضْرٍ وَّ اُخَرَ یٰبِسٰتٍ اَسہِ کرِ تو بیان یمہِ خوابُک
تعبیر کہِ ستن ویچھن گاوَن چھہ ست (ے) ہو چھمژہ گاوہ کھیوان۔ بیہ چھہِ ست ہیل سبز تہٕ ست ہیلِ
ہو کھمتِ۔ تمِ ست ہیل تہِ چھہِ یمَنِ ستن ہیلَن ولنہ سیتِ ہو کھر اوان۔ ای چھوٚ اکھ شخصاہ خوابس
منز وچھان۔ تُہہ فرماوِیو امیُک تعبیر لَّعَلِّیْۤ اَرْجِعُ اِلَی النَّاسِ لَعَلَّهُمْ یَعْلَمُوْنَ یتھ بو واپس گژھہ ہا تمن

سَبۡعَ سِنِیۡنَ دَاَبًا ۚ فَمَا حَصَدۡتُّمۡ فَذَرُوۡهُ فِیۡ سُنۡۢبُلِهٖۤ اِلَّا قَلِیۡلًا
مِّمَّا تَاۡكُلُوۡنَ ﴿۴۷﴾ ثُمَّ یَاۡتِیۡ مِنۡۢ بَعۡدِ ذٰلِكَ سَبۡعٌ شِدَادٌ یَّاۡكُلۡنَ مَا
قَدَّمۡتُمۡ لَهُنَّ اِلَّا قَلِیۡلًا مِّمَّا تُحۡصِنُوۡنَ ﴿۴۸﴾ ثُمَّ یَاۡتِیۡ مِنۡۢ بَعۡدِ ذٰلِكَ
عَامٌ فِیۡهِ یُغَاثُ النَّاسُ وَفِیۡهِ یَعۡصِرُوۡنَ ﴿۴۹﴾ وَقَالَ الۡمَلِكُ ائۡتُوۡنِیۡ
بِهٖ ۚ فَلَمَّا جَآءَهُ الرَّسُوۡلُ قَالَ ارۡجِعۡ اِلٰی رَبِّكَ فَسۡـَٔلۡهُ مَا بَالُ
النِّسۡوَةِ الّٰتِیۡ قَطَّعۡنَ اَیۡدِیَهُنَّ ؕ اِنَّ رَبِّیۡ بِكَیۡدِهِنَّ عَلِیۡمٌ ﴿۵۰﴾

---

لُوکن گُن یمو بو سوزمُت چھُوس۔ تِمَن بو تھیکِتھ آمُت چھُوس ییٚتھ تِمن امیُک تعبیر معلوم سپدہ۔ تمی ذریعہ سپدِہ تِمن تھنز حقیقتِ کمالِ معلوم قَالَ تَزۡرَعُوۡنَ سَبۡعَ سِنِیۡنَ دَاَبًا حضرتِ یوسُفن دوپُس تُہہ وَوِدوارہ پاٹھِ غلہ سَتَن ورٕ ہَن پوٗتُس پتھ فَمَا حَصَدۡتُّمۡ فَذَرُوۡهُ فِیۡ سُنۡۢبُلِهٖۤ اِلَّا قَلِیۡلًا مِّمَّا تَاۡكُلُوۡنَ پَس یہِ کنیٚژھاہ تُہہ لُونِتہٕ سو رُوی تھاوِو تُہہ ہیٚلنی منز جمع کٔرِتھ۔ مگر نہ کم کنیٚژھاہ یُس توہہِ کھیٚس پوٚشہِ ثُمَّ یَاۡتِیۡ مِنۡۢ بَعۡدِ ذٰلِكَ سَبۡعٌ شِدَادٌ تو پتہ ییٚن بیہ سَت (۷) وَری سیٹھاہ سختی ہنٚدِ تہ قحطک یَّاۡكُلۡنَ مَا قَدَّمۡتُمۡ لَهُنَّ اِلَّا قَلِیۡلًا مِّمَّا تُحۡصِنُوۡنَ تمِ سَت (۷) وَری کھیٚن تتھ غلس یُس توہہِ جمع کٔرِتھ تھوومُت آسوٚ ذخیرہ کٔرِتھ یمن سختی ہنٚدین سَتَن وَرِہَن ہنٚدِ خیٚطرٕ مگر نہ سُو حِصہٕ یُس تُہہ مخصوص تھاوِو بیالہٕ خیٚطرٕ۔ ستو گاوٕ تہٕ ستو ہیٚلوٕ اندرٕ چھُ اِشارہ یمنی سَتَن ورٕ ہَن کُن۔ ثُمَّ یَاۡتِیۡ مِنۡۢ بَعۡدِ ذٰلِكَ عَامٌ فِیۡهِ یُغَاثُ النَّاسُ وَفِیۡهِ یَعۡصِرُوۡنَ

تمہِ پتہ ییہِ اکھ وریاہ۔ تتھ منزِ ییہِ لوکن پیٹھ رُود تراونہ کانی۔ تتھ ورٕہَس منز چیرٕن لُوکھ میوٕن ہُنٛد رَس ییٚتھ شراب تیار کرن۔ یہِ تعبیر بوٗزِتھ باد شٲہَن سُو گو خوش چنانچِہ وَقَالَ الۡمَلِكُ ائۡتُوۡنِیۡ بِهٖ باد شٲہَن کوٚر حُکم یہِ تعبیر بیان کرَن وُن شخص دیُون مےٚ انِتھ۔ بو وُچھَن یہِ کُس صاحب چھُو فَلَمَّا جَآءَهُ الرَّسُوۡلُ قَالَ ارۡجِعۡ اِلٰی رَبِّكَ پَس یلہِ تِمن نِشہِ باد شٲہہ سُند قاصِد آو پیغام ہیٚتھ تمو دوپُس ژٕ گژھ واپس پننہِ نٔس مالِکس نِش۔ فَسۡـَٔلۡهُ مَا بَالُ النِّسۡوَةِ الّٰتِیۡ قَطَّعۡنَ اَیۡدِیَهُنَّ تٔس پرژھ گوڈٕ کیاہ تٔس چھا معلوم تِمن زنانن ہُنٛد حال یمو بو وُچھِت پننِ اتھ ژٔٹی۔ اِنَّ رَبِّیۡ بِكَیۡدِهِنَّ عَلِیۡمٌ پٔز پاٹھ میانس خدایس چھُو تِہنٛد مکر تہٕ

قَالَ مَا خَطْبُكُنَّ إِذْ رَاوَدْتُّنَّ يُوسُفَ عَنْ نَّفْسِهٖ ۚ قُلْنَ حَاشَ لِلّٰهِ مَا عَلِمْنَا عَلَيْهِ مِنْ سُوْٓءٍ ۚ قَالَتِ امْرَاَتُ الْعَزِيْزِ الْـٰٔنَ حَصْحَصَ الْحَقُّ ۡ اَنَا رَاوَدْتُّهٗ عَنْ نَّفْسِهٖ وَاِنَّهٗ لَمِنَ الصّٰدِقِيْنَ ﴿٥١﴾ ذٰلِكَ لِيَعْلَمَ اَنِّىْ لَمْ اَخُنْهُ بِالْغَيْبِ وَاَنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِىْ كَيْدَ الْخَآئِنِيْنَ ﴿٥٢﴾ وَمَآ اُبَرِّئُ نَفْسِىْ ۚ اِنَّ النَّفْسَ لَاَمَّارَةٌۢ بِالسُّوْٓءِ اِلَّا

---

فریب پورہ معلوم۔ تمن زنانن انِ نادِ تھ تمن پر ژھِن میون حال۔ بوٚچھوٚ سہ بے قصور کنہ مہِ چھوٚ کانہہ قصوراہ چنانچہ قَالَ مَا خَطْبُكُنَّ إِذْ رَاوَدْتُّنَّ يُوسُفَ عَنْ نَّفْسِهٖ پادشہن انہ ناوٕ تمہِ سارے زنانہ نادِ تھ۔ توٚ پتہ پرٚ ژھِکھ کیاہ کیفیت چھ تھنز یلہِ تُہہ تنبلاوان آسوٚن حضرت یوسف پننہ پانہ خیطرٕ کیاہ توہہٕ ؤچھوٕ تمہِ ساتہ حضرتِ یوسف توہہِ کُن مایل سپدان قُلْنَ حَاشَ لِلّٰهِ مَا عَلِمْنَا عَلَيْهِ مِنْ سُوْٓءٍ سارِ وی زنانو دُوپ خدا اچھوٚ منزّہ تہ پاک۔ اَسہِ ؤچھ نہ حضرتِ یوسفس منز کانہہ خرابیاہ کانہہ عیباہ۔ سُو چھوٚ بالکل پاک قَالَتِ امْرَاَتُ الْعَزِيْزِ الْـٰٔنَ حَصْحَصَ الْحَقُّ عزیز مصرٕ سنزٕ زنانہِ (زلیخایہ) یُوسہ تمہِ ساتہ حاضر آس تہِ دوٚن۔ پتز کتھ سپزٕ وونِ سارنی پیٹھ روشن اَنَا رَاوَدْتُّهٗ عَنْ نَّفْسِهٖ واقعی بوٚی آسس تمن اَتہ گتھ کران پننِ خواہش تہ مطلب تمن نشہِ پوٗرٕ کرنہ خیطرٕ بیہ تھند دِل پانس کُن پھرنہ خیطرٕ کوشش کران وَاِنَّهٗ لَمِنَ الصّٰدِقِيْنَ تمِ چھہِ بے شک پوز وَنہ وینو اندرہ۔ تموٚ فرموو گوڈنی ھی راودتنی عن نفسی تِی چھوٚ پوز۔ بُوی آسس کوشش کران یِم پانس کُن مائیل کرنچ۔ مگر بوٚ سپزٕس تتھ منز ناکام۔ یہِ ساری کاروائی تفتیش یلہِ قاصدن حضرتِ یُوسفس نشہِ بیان کرٚ تموٚ دُوپ ذٰلِكَ لِيَعْلَمَ اَنِّىْ لَمْ اَخُنْهُ بِالْغَيْبِ تفتیش کرنووٕمہِ امی موٚکھ یُتھ عزیزِ مصرس وارہ معلوم سپدہ کہ مہِ آسنہ ہرگز تس خیانت کرمژ تسنزِ عدمِ موجودگی منز تسندِس عزّتس و آبرواس پیٹھ دست درازی کرٚمژ وَاَنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِىْ كَيْدَ الْخَآئِنِيْنَ بیہ یُتھ ساری زانن کہ اللہ تعالیٰ چھوٚنہ سیزٕر کران خیانت کرٕونین ہندِس گنہِ تدبیرس۔ وَمَآ اُبَرِّئُ نَفْسِىْ ۚ اِنَّ النَّفْسَ لَاَمَّارَةٌۢ بِالسُّوْٓءِ بوٚ چھوٚ سَنہ پنن پان بَری زانان کیازِہ پریتھ اکس

مَا رَحِمَ رَبِّيْ ۭ اِنَّ رَبِّيْ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿۵۳﴾ وَقَالَ الْمَلِكُ ائْتُوْنِيْ
بِهٖٓ اَسْتَخْلِصْهُ لِنَفْسِيْ ۚ فَلَمَّا كَلَّمَهٗ قَالَ اِنَّكَ الْيَوْمَ لَدَيْنَا
مَكِيْنٌ اَمِيْنٌ ﴿۵۴﴾ قَالَ اجْعَلْنِيْ عَلٰي خَزَاۗىِٕنِ الْاَرْضِ ۚ اِنِّىْ حَفِيْظٌ
عَلِيْمٌ ﴿۵۵﴾ وَكَذٰلِكَ مَكَّنَّا لِيُوْسُفَ فِي الْاَرْضِ ۚ يَتَبَوَّاُ مِنْهَا حَيْثُ
يَشَاۗءُ ۭ نُصِيْبُ بِرَحْمَتِنَا مَنْ نَّشَاۗءُ وَلَا نُضِيْعُ اَجْرَ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۵۶﴾
وَلَاَجْرُ الْاٰخِرَةِ خَيْرٌ لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا يَتَّقُوْنَ ﴿۵۷﴾ ع وَجَاۗءَ

---

چھُو نفس یچھ کامِین ہُند امر کران اِلَّا مَارَحِمَ رَبِّیْ مگر یُس میون پروردگار رحم کرِ اِنَّ رَبِّیْ غَفُوْرٌ رَّحِیْمٌ پزٕ پاٹھۍ میُون پروردگار چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن، سیٹھاہ رحم کرہ وُن وَقَالَ الْمَلِکُ ائْتُوْنِیْ بِہٖٓ اَسْتَخْلِصْہُ لِنَفْسِیْ بیہِ کور حُکم پادشہن انیُون جلد حضرتِ یوسف مہِ نِش۔ بُہ بناوَن سُہ پنُن مشیر خاص فَلَمَّا کَلَّمَہٗ قَالَ اِنَّکَ الْیَوْمَ لَدَیْنَا مَکِیْنٌ اَمِیْنٌ اَدہ یلہِ حضرتِ یُوسف آو پادشہس سیتِ کر یکھ وارِیاہ کتھہ۔ کتھو اندر رَے سپدُس معلوم تِہند فضل و کمال۔ دپُن تمِن بیشک تِہہ چھوِہ ازاَسہِ نِشہِ سیٹھاہ تھزہ جایہ۔ مُعزز، مُعتبر تہ امانت دار خوابہِ کہِ تعبیرُک آو کتھن اندر ذِکر۔ پادشہن دوپُھ۔ ایتہِ بڑہ قحطُک انتظام کرُن چھہ بڑ کوم یہ کس گرو سپُرد قَالَ اجْعَلْنِیْ عَلٰی خَزَاۗىِٕنِ الْاَرْضِ حضرتِ یوسفن فرموٗس مہِ بناوٕ ژہ حاکم یمہِ مُلکہ کین خزانَن ہُند (یعنے مشیر مال، وزیرِ خزانہ) اِنِّیْ حَفِیْظٌ عَلِیْمٌ پزٕ پاٹھۍ بُو چھُس مالَس پۆر حفاظت کرہ وُن۔ مالُک پۆرہ حساب و کتاب زانہ وُن۔ چنانچہ بجای اینکہ تمِن کیا دِیہ ہاکانہہ خاص عہداہ تہ منصباہ، پنٕنِ ساری اختیارات کٔرِن سپُرد تمنی۔ حقیقتس اندر آسِ پادشاہ تمے۔ بادشاہ رُود پانہ برائ نام۔ تمِ سپد مشہور عزیز مصرہ کہِ لقبہ سیت وَکَذٰلِکَ مَکَّنَّا لِیُوْسُفَ فِی الْاَرْضِ بیہِ دیُت اسہِ پۆر قبضہ تہ اختیار حضرتِ یوسفس اَتھ سرزمینِ مصرس اندر یَتَبَوَّاُ مِنْہَا حَیْثُ یَشَاۗءُ ڈیرہ اوس دوان، عیش و آرام اوس کران یتِس خوش کرِ، ہُس تمہِ زمینہ اندرہ نُصِیْبُ بِرَحْمَتِنَا مَنْ نَّشَاۗءُ اسِ چھہِ واتناوان پنٕنِ رحمت یُس یژھو تہ تس۔ وَلَا نُضِیْعُ اَجْرَ الْمُحْسِنِیْنَ اسِ چھہِنہ ضایع

اِخْوَةُ يُوسُفَ فَدَخَلُوا عَلَيْهِ فَعَرَفَهُمْ وَهُمْ لَهُ مُنْكِرُونَ ﴿٥٨﴾ وَلَمَّا جَهَّزَهُمْ بِجَهَازِهِمْ قَالَ ائْتُونِي بِأَخٍ لَّكُمْ مِّنْ أَبِيكُمْ ۚ أَلَا تَرَوْنَ أَنِّي أُوفِي الْكَيْلَ وَأَنَا خَيْرُ الْمُنْزِلِينَ ﴿٥٩﴾ فَإِنْ لَّمْ تَأْتُونِي بِهِ فَلَا كَيْلَ لَكُمْ عِنْدِي وَلَا تَقْرَبُونِ ﴿٦٠﴾ قَالُوا سَنُرَاوِدُ عَنْهُ

---

کران نیکو کارن ہنز مزُورِ وَلَاَجْرُ الْاٰخِرَةِ خَيْرٌ لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا يَتَّقُوْنَ بیہ چھہ آخرچ مزُورِ تہ آخرِ سیٹھاہ بہتر تمن لوکن ہندِہ خیطرہ ییمو ایمان اون بیہِ آسِ کھوژان خدایس۔ بعضی تفسیرن اندر چھُو کہِ تمنی دوہن اندر گومرِ تھ بروٹھیوم عزیزِ مصر۔ زلیخایہِ ہندِ نکاح سپد حضرتِ یُوسفس سیتِ۔ الغرض حضرتِ یوسُف سپد بااختیار پادشاہ۔ تمو وَوہ نووز مینس اندر سیٹھاہ غلّہ تو پتہ تھوُد کھ سُو جمع کرِتھ محفُوظ۔ قحطک ست (ے) وَرِہ یلہِ شروع سپد تمو ہیوت سُو غلہ لُوکن اندر تقسیم کرُن۔ دُورِہ دُورِہ پیٹھ ہیتن لُوکھ غلہ حاصِل کرنہ خیطرہ ینِ۔ کنعانس منزتہِ سپد قحط وَجَآءَ اِخْوَةُ يُوسُفَ فَدَخَلُوْا عَلَيْهِ فَعَرَفَهُمْ وَهُمْ لَهٗ مُنْكِرُوْنَ تو پتہ آی حضرتِ یُوسفہ سندِ بایہ تہِ کنعانہ پیٹھ۔ تو پتہ ژای تہندس دربارس اندر۔ تمو پرزہ ناوِ تمِ۔ مگر تمو پرزہ نوونہ کینہہ حضرتِ یوسُف کیازِہ واریاہ کال اُوس منزہ گومُت۔ بیہِ اوس نہ تہندِس وہم وگمانس منز کہِ تمِ کیا آسَن اَتھ تھدِس منصبس پیٹھ واتمتِ۔ تمِ کیا آسِن بادشاہ بنیمتِ۔ تمو پرژھُکھ تُہہ کیازِہ آوہ یتھ شہرس منز۔ دوپہک غلّہ خیطرہ۔ تمو دُوپہک غالباً آسِو تُہہ جاسُوس۔ تمو دُوپ پناہ بخدا اَسِ چھہِ کنعانکہِ اکہِ تھدِہ خاندانک افراد۔ سُون بابہ صیب چھُو حضرتِ یعقوب خدایہِ سُند پیغمبر۔ تمو پرُژھکھ تُہہ کژ بایِ چھوِہ۔ تمو دُوپ اسِ آسِ باہ بایِ۔ اکھ بُوی چھُو لاپتہ۔ سُو اوس زیادہ ٹوٹھ بابہ صیبس سانس۔ تمسُند سکہ بوی روٹ بابہ صیبَن پننہ تسلّی خیطرہ پانس نشہِ۔ باقی دہ (۱۰) بای آی اسِ توہہ نشہِ غلہ منگنہِ۔ تمو کور حُکم یم تھاوِیُو کھ شاہی مہمان خانس اَندر۔ یمَن کرِ و جان پاٹھ خاطر و تواضع وَلَمَّا جَهَّزَهُمْ بِجَهَازِهِمْ تو پتہ یلہِ تیار کورُن تُہند سامان غلہ وغیرہ قَالَ ائْتُوْنِيْ بِاَخٍ لَّكُمْ مِّنْ اَبِيْكُمْ دُوپنکھ یلہِ تُہہ بیہِ ییِو رُمالِ بوی پنن ازن مہ نشہِ بوُد چھہِ تہندِ وُن چھا واقعی پوز۔ اَلَا

اَبَاهُ وَاِنَّا لَفٰعِلُوْنَ ﴿٦١﴾ وَقَالَ لِفِتْيٰنِهِ اجْعَلُوْا بِضَاعَتَهُمْ فِيْ رِحَالِهِمْ لَعَلَّهُمْ يَعْرِفُوْنَهَآ اِذَا انْقَلَبُوْٓا اِلٰٓى اَهْلِهِمْ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ ﴿٦٢﴾ فَلَمَّا رَجَعُوْٓا اِلٰٓى اَبِيْهِمْ قَالُوْا يٰٓاَبَانَا مُنِعَ مِنَّا الْكَيْلُ فَاَرْسِلْ مَعَنَآ اَخَانَا نَكْتَلْ وَاِنَّا لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ ﴿٦٣﴾ قَالَ هَلْ اٰمَنُكُمْ عَلَيْهِ اِلَّا كَمَآ اَمِنْتُكُمْ عَلٰٓى اَخِيْهِ مِنْ قَبْلُ ؕ

---

تَرَوْنَ اَنِّيْٓ اُوْفِي الْكَيْلَ وَاَنَا خَيْرُ الْمُنْزِلِيْنَ تُهه ڇهوِه ناڙ ڇهان ٻُو ڇهوُس ضرور پوُر ٻينان۔ بيه ڇهوُس بور ڙ مهمان نوازي كران فَاِنْ لَّمْ تَاْتُوْنِيْ بِهٖ فَلَا كَيْلَ لَكُمْ عِنْدِيْ وَلَا تَقْرَبُوْنِ هرگاه سُو ٻُوي تُهه اينون نه مه نِش۔ تلهِ ڇهوُ نه تُهه مه نِشهِ غله نيون كِنه ته۔ بيهِ گرڇهِ نه تلهِ مهِ نِشهِ اينُوي تهند قَالُوْا سَنُرَاوِدُ عَنْهُ اَبَاهُ وَاِنَّا لَفٰعِلُوْنَ تهموُ دُوپ اسِ گرُو ضرور كوشِش سُو ٻُوي پاُنس سيتِ انه ڇِ تته متعلق ونواسِ بابه صيبس۔ بيهِ ڇهِ اسِ ونان اسِ كرو ضرور يهِ كوم وَقَالَ لِفِتْيٰنِهِ اجْعَلُوْا بِضَاعَتَهُمْ فِيْ رِحَالِهِمْ حضرتِ يوسفُن دوپ پنه نين غلامن تمَنِ تهاوِ غلگ قيمت اهندِس سامالس منز لَعَلَّهُمْ يَعْرِفُوْنَهَآ اِذَا انْقَلَبُوْٓا اِلٰٓى اَهْلِهِمْ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ شايد تمِ پرزه ناوَن تته يلهِ تمِ واتن پنه نِس عيالس منز ته وڇهِت ديوه بيهِ اَسهِ نِشهِ واپس يِنِ فَلَمَّا رَجَعُوْٓا اِلٰٓى اَبِيْهِمْ قَالُوْا يٰٓاَبَانَا مُنِعَ مِنَّا الْكَيْلُ پَس يلهِ تمِ واپس واتِ پنه نِس بابه صيبس نِشهِ عرض كورُكھ اي سانهِ بابه صيبه اَسهِ حضُ دوپُڇھ هرگاه تُهه بياكھ ٻُوي سيتِ اينون نه تلهِ دِموُوه نه آينده توههِ كينههِ تهِ غله فَاَرْسِلْ مَعَنَآ اَخَانَا نَكْتَلْ وَاِنَّا لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ پَس سوزِيُون هزِ اَسهِ سيت ٻُوي سُون۔ يُته اَسهِ سارني بيهِ غله دِن تولِته۔ اَسهِ پيٹھ كَرِ واعتبار اسِ ڇهِ تَس راڇهِ كرهِ ون قَالَ هَلْ اٰمَنُكُمْ عَلَيْهِ اِلَّا كَمَآ اَمِنْتُكُمْ عَلٰٓى اَخِيْهِ مِنْ قَبْلُ حضرتِ يعقوبَن دوپُڇھ كياه ٻُو كرا اعتبار توههِ پيٹھ تسندِه خيطره مگر تِتهوي اعتبار يُته مهِ كريوو توههِ پيٹھ امسندِس باي سندِه خيطره ارَكهِ برونٹھ۔ دِل ڇهوم نه كران كه يه بنِيامين كياه دِمَن بو توههِ سيتِ۔ مگر تُهه ڇهوِه ونان كه سُونئے سيتِ آسه تلهِ دِن نه غلے كينهه۔ اِتهِ ڇهِ مجبُوري غله حاصِل كرُن ڇهوُ فرض۔ كيازِه حيات جسماني ڇهه موقوف تته

فَاللّٰهُ خَيْرٌ حٰفِظًا ۖ وَّهُوَ اَرْحَمُ الرّٰحِمِيْنَ ﴿٦٤﴾ وَلَمَّا فَتَحُوْا مَتَاعَهُمْ وَجَدُوْا بِضَاعَتَهُمْ رُدَّتْ اِلَيْهِمْ ۭ قَالُوْا يٰٓاَبَانَا مَا نَبْغِيْ ۭ هٰذِهٖ بِضَاعَتُنَا رُدَّتْ اِلَيْنَا ۚ وَنَمِيْرُ اَهْلَنَا وَنَحْفَظُ اَخَانَا وَنَزْدَادُ كَيْلَ بَعِيْرٍ ۭ ذٰلِكَ كَيْلٌ يَّسِيْرٌ ﴿٦٥﴾ قَالَ لَنْ اُرْسِلَهٗ مَعَكُمْ حَتّٰى تُؤْتُوْنِ مَوْثِقًا مِّنَ اللّٰهِ لَتَاْتُنَّنِيْ بِهٖٓ اِلَّآ اَنْ يُّحَاطَ بِكُمْ ۚ فَلَمَّآ اٰتَوْهُ مَوْثِقَهُمْ قَالَ اللّٰهُ عَلٰي مَا نَقُوْلُ وَكِيْلٌ ﴿٦٦﴾

---

پیٹھ۔ لہذا اگر بنیامین نیون پانس سیتِ خدایس حوالہ فَاللّٰهُ خَيْرٌ حٰفِظًا وَّهُوَ اَرْحَمُ الرّٰحِمِيْنَ پس اللہ تعالیٰ ای چھو رُت راچھہِ کرہ ؤن۔ بیہ چھو سُوی پڑر حم کرہ ؤن سارِوی اندرہ۔ میانہِ محبّتہ تہ شفقتہ سیتِ کیاہ اَندِہ وَلَمَّا فَتَحُوْا مَتَاعَهُمْ وَجَدُوْا بِضَاعَتَهُمْ رُدَّتْ اِلَيْهِمْ اَمہِ گفتگو پتہ یلہِ تمو سامانہ پٹن مُژرو تتھ منزو چھُکھ غلک قیمت یُس تمو دیُتمت اوس تتہِ تمَن واپس کرنہ آمُت قَالُوْا يٰٓاَبَانَا مَا نَبْغِيْ دپنہِ لگ تمِ ای سانہِ بابہ صیبہ امہِ خوتہ کیاہ ژھانڈو اسِ هٰذِهٖ بِضَاعَتُنَا رُدَّتْ اِلَيْنَا یکیا اَسہِ چھو کھ غلک قیمت تہِ واپس دیُتمت۔ اَمہِ قسمُک چھو پادشاہِ مصر فیاض تہ محسن۔ لہذا چھونہ مناسِب تہندِس حُکمس بدَل کرُن۔ دیُون اَسہِ سیتِ بُوی سُون بنیامین وَنَمِيْرُ اَهْلَنَا وَنَحْفَظُ اَخَانَا وَنَزْدَادُ كَيْلَ بَعِيْرٍ ذٰلِكَ كَيْلٌ يَّسِيْرٌ تہندِ سیتِ انواسِ کافی غلہ عیالہ خیطرہ۔ بیہ گرو بایس راچھہ۔ بیہ انواسِ علاوہ اکس ووٹس لدِ تھ غلہّ تہند حصہّ۔ مُوجودہ غلہ چھو سانہ خیطرہ کمی یہ پوشہِ نہ زیادہ کاکس قَالَ لَنْ اُرْسِلَهٗ مَعَكُمْ حَتّٰى تُؤْتُوْنِ مَوْثِقًا مِّنَ اللّٰهِ لَتَاْتُنَّنِيْ بِهٖٓ اِلَّآ اَنْ يُّحَاطَ بِكُمْ حضرت یعقوبن دُوپکھ خیر یتھِس صوُرتس اندر چھُونہ چارہ کینہ سُو توہہ سیتِ دِنس اندر۔ مگر بوکتہِ دِمَن یہ توہہ سیتِ یوتان نہ تُہہ خدایہِ سُندِ قسم ہاوِ تھ مہِ سیت عہد کُرِ وکہِ تُہہ کیاواتہ ناوِیُون سُو ضرور واپس مہ نشہِ مگرے تُہہ ساری ولنہ یِیوُگنہِ بلایہِ سیتِ تلہِ چھہ مجبوری۔ چنانچہ سارِوی کورا تھ پیٹھ قسم فَلَمَّآ اٰتَوْهُ مَوْثِقَهُمْ قَالَ اللّٰهُ عَلٰي مَا نَقُوْلُ وَكِيْلٌ ادہ یلہِ تمو حضرتِ یعقوبس عہدو قرار دیُت تمو دُوپ اللہ تعالیٰ ای چھو سانس ونہ نس

وَقَالَ يٰبَنِيَّ لَا تَدْخُلُوْا مِنْۢ بَابٍ وَّاحِدٍ وَّادْخُلُوْا مِنْ
اَبْوَابٍ مُّتَفَرِّقَةٍ ؕ وَمَآ اُغْنِيْ عَنْكُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ شَيْءٍ ؕ
اِنِ الْحُكْمُ اِلَّا لِلّٰهِ ؕ عَلَيْهِ تَوَكَّلْتُ ۚ وَعَلَيْهِ فَلْيَتَوَكَّلِ
الْمُتَوَكِّلُوْنَ ﴿٦٧﴾ وَلَمَّا دَخَلُوْا مِنْ حَيْثُ اَمَرَهُمْ اَبُوْهُمْ ؕ مَا
كَانَ يُغْنِيْ عَنْهُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ شَيْءٍ اِلَّا حَاجَةً فِيْ نَفْسِ
يَعْقُوْبَ قَضٰىهَا ؕ وَاِنَّهٗ لَذُوْ عِلْمٍ لِّمَا عَلَّمْنٰهُ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ

---

پیٹھ گواہ تہ شاہد امہِ پتہ دیُوتھکھ بنیامین تِمَن بابَن سیت۔ رخصتہٕ وقتہٕ دوپہکھ وَقَالَ يٰبَنِيَّ لَا تَدْخُلُوْا مِنْۢ بَابٍ وَّاحِدٍ اَی میانیو فرزندو ژھنہ مِصرس منز اژِو تُہہ ساری اَکی دروازہ کِنِ خبر چھا تِمہِ سیتِ مالگوہ چشمِ زخم وَّادْخُلُوْا مِنْ اَبْوَابٍ مُّتَفَرِّقَةٍ مِصرس منز اژِزِہ الگ الگ دروازَو کِنِ ترہ ترہ ژور ژور زِنِ۔ مِصرس آسِ تِمہِ وقتہٕ ژور دروازہ وَمَآ اُغْنِيْ عَنْكُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ شَيْءٍ بو ہیکہ نہ دُور کٔرِتھ تُوہہِ نِشہِ تِمہِ تجویزِہ سیتِ خدایہ سندِہ تقدیرہ نِشہِ کانہہ چیز اہ اِنِ الْحُكْمُ اِلَّا لِلّٰهِ حُکم چھُونہ مگر خدایہ سندُوی حُکم عَلَيْهِ تَوَكَّلْتُ تَس پیٹھ چھُوس بو اعتماد تہ ڈوکھ کران وَعَلَيْهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُتَوَكِّلُوْنَ تَس پیٹھ گژھہِ توکل کرہٕ وٕنین ہُند توکل کرُن بیہ نہ کانسہِ پیٹھ۔ یُس تَس پیٹھ توکل کرِہ تَس چھُو سُو بَس وَلَمَّا دَخَلُوْا مِنْ حَيْثُ اَمَرَهُمْ اَبُوْهُمْ پس یلہِ ژاِی تِم مِصرس منز یارِ کِنِ تجویز اوسُکھ کورمُت بابہ صٕیبن پَنِن مَا كَانَ يُغْنِيْ عَنْهُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ شَيْءٍ امہِ تجویزہ سیتِ ہیکہِ ہانہ تِمَن بچاوِتھ خدایہ سندِہ حُکمہ نِشہِ کانہہ چیز اہ اِلَّا حَاجَةً فِيْ نَفْسِ يَعْقُوْبَ قَضٰىهَا مگر امہِ تجویزہ اندرہ اوس مقصد حضرتِ یعقوبس پَنُن اَکھ ارمانا پوٗرہ کرُن۔ یُس تِمہِ وقتہٕ تِموٕ ظاہر کور وَاِنَّهٗ لَذُوْ عِلْمٍ لِّمَا عَلَّمْنٰهُ بیشک سُو چھُو زانن وول تِمَن چیزن تِم اسہِ سُو پھچھنوو وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ لیکن اکثر لُوکھ چھنہ کینہہ زانان تِم چیز وَلَمَّا دَخَلُوْا عَلٰى يُوْسُفَ تو پتہ یلہِ ژاِی تِمِ حضرتِ یوسفس نِشہِ اٰوٰۤى اِلَيْهِ اَخَاهُ تِمِ روٹ بُوی پَنُن (بنیامین) پانس نِشہِ قَالَ اِنِّيْۤ اَنَا اَخُوْكَ

النَّاسِ لَا يَعْلَمُونَ ﴿٦٨﴾ وَلَمَّا دَخَلُوا عَلَىٰ يُوسُفَ آوَىٰ إِلَيْهِ أَخَاهُ قَالَ إِنِّي أَنَا أَخُوكَ فَلَا تَبْتَئِسْ بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿٦٩﴾ فَلَمَّا جَهَّزَهُم بِجَهَازِهِمْ جَعَلَ السِّقَايَةَ فِي رَحْلِ أَخِيهِ ثُمَّ أَذَّنَ مُؤَذِّنٌ أَيَّتُهَا الْعِيرُ إِنَّكُمْ لَسَارِقُونَ ﴿٧٠﴾ قَالُوا وَأَقْبَلُوا عَلَيْهِم مَّاذَا تَفْقِدُونَ ﴿٧١﴾ قَالُوا نَفْقِدُ صُوَاعَ الْمَلِكِ وَلِمَن جَاءَ بِهِ حِمْلُ بَعِيرٍ وَأَنَا بِهِ زَعِيمٌ ﴿٧٢﴾ قَالُوا تَاللَّهِ لَقَدْ عَلِمْتُم مَّا جِئْنَا لِنُفْسِدَ فِي الْأَرْضِ وَمَا

---

فَلَا تَبْتَئِسْ بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ دوپنس یُوی چھُوس چون بوی (یوسُف) ژہ مہ بر غم تمیک کینہہ یہِ بای اَسہِ نسبت کران آسِ فَلَمَّا جَهَّزَهُم بِجَهَازِهِمْ تو پتہ یلہِ تیار کرنوُن تہند سامانہ جَعَلَ السِّقَايَةَ فِي رَحْلِ أَخِيهِ حضرتِ یُوسفن تھاوہ نووپنہِ آب چینگ بانہ بای سندِس سامانس منز۔ تو پتہ یلہِ تمِ روانہ سپدِت شہرہ نیبر واتِ ثُمَّ أَذَّنَ مُؤَذِّنٌ أَيَّتُهَا الْعِيرُ إِنَّكُمْ لَسَارِقُونَ تمہِ پتہ دُیت آلواکِ آلو دِوہ ونِ ای قافلہ والیو تُہہ چھِوہ پزپاٹِ ژُور قَالُوا وَأَقْبَلُوا عَلَيْهِم مَّاذَا تَفْقِدُونَ تمِ لگِ وننہِ تمن کُن پھیرِ تھ تُہہ کیاہ چھِوہ رومُت قَالُوا حضرتِ یوسُفہ سندیو ملازِمو دوپُھ نَفْقِدُ صُوَاعَ الْمَلِكِ اَسہِ چھِہ رومُت بادشاہ سندِہ چینگ بانہ یمہِ سیتِ سُو تُہہ غلہ دِوان اوس مینِ مینِ وَلِمَن جَاءَ بِهِ حِمْلُ بَعِيرٍ وَأَنَا بِهِ زَعِيمٌ یُس سُو بانہ تُہہ اندرہ اَتھ دِیہ تہ پیش کرِہ تس دِمو اکھ وُونٹہ بار غلُک انعام۔ بو آلو دِوہ وُن چھُوس تمہِ خیطرہ ذِمہ دار قَالُوا تَاللَّهِ لَقَدْ عَلِمْتُم مَّا جِئْنَا لِنُفْسِدَ فِي الْأَرْضِ وَمَا كُنَّا سَارِقِينَ تمو دُوپ قسم خدا تُہہ چھِوہ وارہ زانان کہِ اسِ چھنہ آمتِ تباہی کرنہ خیطرہ یُو ربیہِ چھنہ سانِ کوم ژور کرنِ قَالُوا فَمَا جَزَاؤُهُ إِن كُنتُمْ كَاذِبِينَ تمو ملازِمو دُپکھ ہر گاہ تُہند

كُنَّا سٰرِقِيْنَ ﴿۷۳﴾ قَالُوْا فَمَا جَزَآؤُهٗۤ اِنْ كُنْتُمْ كٰذِبِيْنَ ﴿۷۴﴾ قَالُوْا جَزَآؤُهٗ مَنْ وُّجِدَ فِيْ رَحْلِهٖ فَهُوَ جَزَآؤُهٗ ؕ كَذٰلِكَ نَجْزِي الظّٰلِمِيْنَ ﴿۷۵﴾ فَبَدَاَ بِاَوْعِيَتِهِمْ قَبْلَ وِعَآءِ اَخِيْهِ ثُمَّ اسْتَخْرَجَهَا مِنْ وِّعَآءِ اَخِيْهِ ؕ كَذٰلِكَ كِدْنَا لِيُوْسُفَ ؕ مَا كَانَ لِيَاْخُذَ اَخَاهُ فِيْ دِيْنِ الْمَلِكِ اِلَّاۤ اَنْ يَّشَآءَ اللّٰهُ ؕ نَرْفَعُ دَرَجٰتٍ مَّنْ نَّشَآءُ ؕ وَفَوْقَ كُلِّ ذِيْ عِلْمٍ عَلِيْمٌ ﴿۷۶﴾ قَالُوْۤا اِنْ

---

وُنِ اپز دراوتله کیاہ چھو تُھند سزا قَالُوْا جَزَآؤُهٗ مَنْ وُّجِدَ فِيْ رَحْلِهٖ فَهُوَ جَزَآؤُهٗ تمو دوپھ تمیُک سزا چھُو یُس شخصہ سندِہ سامانہ منزہ سُو چیز نیرہ۔ سُوی شخص چھو تمیُک سزاء یعنی سُو گژھہِ گرفتار کرُن تہ غلام بناوُن كَذٰلِكَ نَجْزِي الظّٰلِمِيْنَ یتھے پاٹھِ چھہِ اَسِ ظالمن یعنی ژُورَن سزادوان پننہِ دینہ موجُب۔ توپتہ اَنجھ تمِ واپس حضرتِ یوسفس نشہِ فَبَدَاَ بِاَوْعِيَتِهِمْ قَبْلَ وِعَآءِ اَخِيْهِ توپتہ کرناو تمِ تلاشی بیَن بایَن ہندین خور جندن پنہ نِس بای سندِس خور جندس تلاشی کرنہ برونٹھ ثُمَّ اسْتَخْرَجَهَا مِنْ وِّعَآءِ اَخِيْهِ پتہ ولاکہ کڈہ نووُن سُو چیز پنہ نِس بای سندِہ خور جندہ منزہ۔ یہ کور تمو اکھ بہانہ بنیامینہ سندِہ پانس نشہِ رٹنہ خیطرہ تمن سیت مشورہ کرِتھ كَذٰلِكَ كِدْنَا لِيُوْسُفَ یتھے پاٹھِ پیچھہِ ناوِاسہِ تدبیر حضرتِ یوسف بذریعہ الہام مَا كَانَ لِيَاْخُذَ اَخَاهُ فِيْ دِيْنِ الْمَلِكِ نتہ اوس نہ مُمکن سُو کیارٹہِ ہا بایس پنہ نِس پانس نشہِ بادشاہِ مصرہ سندہ قانونہ موجُب کیازہ تمسندس قانونس منز اوس نہ ژور گرفتار کرُن بلکہ اوس ژورس کینھہ تنبیہہ کرِتھ یلہ تراوُن اِلَّاۤ اَنْ يَّشَآءَ اللّٰهُ مگر خدایہ سندی یژھنہ سیتِ تمی یوژھہ تہ یہ آو بعمل۔ تمِ ترووالہام حضرتِ یوسفہ سندس دِلس اندر یعقوبی شریعتہ موجُب ژُورس سزا دیُون۔ تی ونہ نووُن تمی بایَن ہنزِہ زبوہ نَرْفَعُ دَرَجٰتٍ مَّنْ نَّشَآءُ تھزِ راوان چھہِ اسِ درجہ علمس اندر تس شخصہ سُند یسند اس یژھو۔ وَفَوْقَ كُلِّ ذِيْ عِلْمٍ عَلِيْمٌ پریتھ علمہ والس پیٹھکن چھُو تہندہِ خوتہ زیادہ عالِم۔ اللہ تعالیٰ چھُو سارنی مافوق۔ تمسُند علم چھُو سارنی

يَسْرِقْ فَقَدْ سَرَقَ اَخٌ لَّهٗ مِنْ قَبْلُ ۚ فَاَسَرَّهَا يُوْسُفُ فِيْ نَفْسِهٖ وَلَمْ يُبْدِهَا لَهُمْ ۚ قَالَ اَنْتُمْ شَرٌّ مَّكَانًا ۚ وَاللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا تَصِفُوْنَ ﴿۷۷﴾ قَالُوْا يٰۤاَيُّهَا الْعَزِيْزُ اِنَّ لَهٗۤ اَبًا شَيْخًا كَبِيْرًا فَخُذْ اَحَدَنَا مَكَانَهٗ ۚ اِنَّا نَرٰىكَ مِنَ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۷۸﴾

---

احاطہ کٔرت علم مخلوق چھو ناقص۔ علم خالق چھو کامل۔ لہٰذا چھو مخلوق محتاج پنہٕ نِس علم و تدبیر س
اندر خالقہ سندس الہام والقاء س کُن۔ حضرتِ یوسفن دوپُھ توہے دپیوٕ اَسِ چھہِ پیغمبر زادہ یہ کیاہ
کوروہ۔ ای پزہِ ہا توہہِ کرُن۔ تمِ گے سیٹھاہ شرمندہ۔ بنیامین آوٕ تدبیرہ سیت تھاونہ حضرتِ یوسفس نِشہِ
قَالُوْۤا اِنْ يَّسْرِقْ فَقَدْ سَرَقَ اَخٌ لَّهٗ مِنْ قَبْلُ تمو دوپ اگر بنیامینن ژور کر تعجُّب چھُو نہ کینہہ کیازِہ
امسندِ سکہ بایِ یوسفن تہِ چھہ برونٹھ ژور کٔرِ مژ۔ سُو قصہِ چھُو یتھ پاٹھہ کہ حضرتِ یوسفس یلہِ والدہ پٔنٕ
یمہِ عالمہ گیہٕ تمن ہنٛزٕ پرورش کرن تہنزِ پوپھ یلہِ حضرت یوسف بوڈ پہن گو ہوشیار ہیو سپد حضرت
یعقوبن دوپ وون رٹن بو پانس نشہِ۔ یہ گو تہنزِ پوپھ ناگوار۔ تمو کوراکھ حیلہ دوپھ مہ رووکمر بند۔
سیٹھاہ ژھونڈکھ کُنہِ آو نہ اتھہِ۔ پتولاکہ وچھکھ اکہ دوہہ حضرتِ یوسفس کمرس گنڈِتھ۔ دوپُھ یہ اوس
حضرتِ یوسفن ژورہ نیومُت۔ لہٰذا ژورِہ ہندمال یُس نِشہِ نیرہ سُو چھُو تتھ مالُس بدٕل رٹنہ یوان۔ بو رٹن
حضرتِ یوسف پانس نِشہِ۔ یہ اوس اکھ حیلاہ اکھ تہندِہ پانس نِشہِ رٹنہ خیطرہ تہنزِ پُوپھہ پائے کورمُت۔
اَتھ کُن کوراِشارہ یمو دورہ بابو فَاَسَرَّهَا يُوْسُفُ فِيْ نَفْسِهٖ وَلَمْ يُبْدِهَا لَهُمْ پَس تھاو یہ کتھ پوٗشیدہ
حضرتِ یوسفن پانس نِشہِ۔ ظاہر کورُن نہ تمن نِشہِ قَالَ اَنْتُمْ شَرٌّ مَّكَانًا ۚ وَاللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا تَصِفُوْنَ
پان پانس سیتِ دوپُن تُہہ چھوٕ زیادہ بدتر ژور کرنس اندر یُوی کھیوون بابہ صبس ژورِہ کٔتھ کنیٛزٕن
پوٗنسن۔ ژور چھُو مال غائب کران۔ توہہِ کورِن انسان غائب۔ یہ کتھ چھہ ظاہر کہِ انسان ژورِہ تھاوٕن
اغواکرُن چھُو زیادہ بدتر مال ژورِہ نِہ خوتہ۔ اللہ تعالیٰ ای چھُو بہتر زانان تہِ یہ تُہہ مہِ نسبت ونان چھوٕہ۔
ژورِہ ہنز ہانژہ لاگان چھوٕہ قَالُوْا يٰۤاَيُّهَا الْعَزِيْزُ اِنَّ لَهٗۤ اَبًا شَيْخًا كَبِيْرًا فَخُذْ اَحَدَنَا مَكَانَهٗ ۚ دپنہِ

قَالَ مَعَاذَ اللّٰهِ اَنْ نَّاْخُذَ اِلَّا مَنْ وَّجَدْنَا مَتَاعَنَا عِنْدَهٗۤ ۙ اِنَّاۤ اِذًا لَّظٰلِمُوْنَ ﴿٧٩﴾ فَلَمَّا اسْتَيْـَٔسُوْا مِنْهُ خَلَصُوْا نَجِيًّا ؕ قَالَ كَبِيْرُهُمْ اَلَمْ تَعْلَمُوْۤا اَنَّ اَبَاكُمْ قَدْ اَخَذَ عَلَيْكُمْ مَّوْثِقًا مِّنَ اللّٰهِ وَمِنْ قَبْلُ مَا فَرَّطْتُّمْ فِيْ يُوْسُفَ ۚ فَلَنْ اَبْرَحَ الْاَرْضَ حَتّٰى يَاْذَنَ لِيْۤ اَبِيْۤ اَوْ يَحْكُمَ اللّٰهُ لِيْ ۚ وَهُوَ

---

لگِ اِی عزیزِ مصر پزِ پاٹھِ تمس بنِیا مینس چھُو بڈہ عمر رسیدہ بابہ صیب لتس چھُویہ سیٹھاہ ٹوٹھ تس گُذرہ سیٹھاہ مُشکل امس بدل رٹتون اَسہِ منزہ اکھاہ سُوی بناو تون پنُن غلام اِنَّا نَرٰىكَ مِنَ الْمُحْسِنِيْنَ اُسِ چھت ژہ زانان بڈہ احسان کرہ وُن۔ یہ تہِ ہےَ ژہ اکھ احساناہ اَسہِ پیٹھ کرہ ہکھ اَسِ سپدہ ہو سیٹھاہ مشکور قَالَ مَعَاذَ اللّٰهِ اَنْ نَّاْخُذَ اِلَّا مَنْ وَّجَدْنَا مَتَاعَنَا عِنْدَهٗۤ حضرتِ یوسفن دوپھ خدایس چھُوس بو پناہ منگان یمہِ کتھہِ نشہِ کہِ اسِ کیار ٹون لتس شخصس ورای بیہِ کانہہ تمس نشہِ سون چیز دراو۔ ہر گاہ اَسِ یژھہ کتھ گرو اِنَّاۤ اِذًا لَّظٰلِمُوْنَ تلہِ چھہِ اسِ سخت بے انصاف فَلَمَّا اسْتَيْـَٔسُوْا مِنْهُ خَلَصُوْا نَجِيًّا پَس یلہ یم حضرتِ یُوسفس نشہِ نااُمید سپدِ بنِیامینہ سندِ س ہیئس اندر الگ سپدِ تہ ہیوتُکھ پانہ وانِ مشورہ کرُن۔ اکثرن ہنز رای سپز کہِ واپس پزہ گژھن قَالَ كَبِيْرُهُمْ اَلَمْ تَعْلَمُوْۤا اَنَّ اَبَاكُمْ قَدْ اَخَذَ عَلَيْكُمْ مَّوْثِقًا مِّنَ اللّٰهِ بڈِہی بای دوپھُکھ تُہہ چھوِہ نازانان کہ بابہ صیبن پنُن چھوِہ تُہہ خدایہِ سُند قسم ہاوناوِمتِ تہ عہد کرناوِمتِ بنِیامینہ سندِہ حقہ وَمِنْ قَبْلُ مَا فَرَّطْتُّمْ فِيْ يُوْسُفَ بیہِ چھوِہ نازانان یمہِ برونٹھ کثیر زیادتی کٔرِوہ توہہِ حضرتِ یُوسفہ سندِ س حقس اندر۔ تمن سیتِ یُس برتاو کورو، توہہِ تمہِ سیتِ کیتاہ حقوق سپدِ ضایع بابہ صیبن۔ سُو برونٹھم شرمندگی کیاہ کم چھہ دوِن گژھوِیہ بیاکھ شرمندگی ہیتھ بابہ صیبس نشہ فَلَنْ اَبْرَحَ الْاَرْضَ حَتّٰى يَاْذَنَ لِيْۤ اَبِيْۤ پَس نیرہ نہ بُو یمہِ شہرہ اندرہ ہرگزِ گُنہِ جایہِ یُو تان نہ اِجازت دِیہِ مہ بابہ صیب پنُن۔ نتہ گمہ بُتھہِ ہیکہ بُو لتس برونٹھ گُن یتھ۔ اَوْ يَحْكُمَ اللّٰهُ لِيْ وَهُوَ خَيْرُ الْحٰكِمِيْنَ یا کرہِ اللّٰہ تعالیٰ میانہِ حقہ کانہہ فیصلہ۔ سُو چھُو بہتر فیصلہ تہ حُکم کرہ وُن۔ سُو گُنہِ

خَيْرُ الْحٰكِمِيْنَ ۝٨٠ اِرْجِعُوْٓا اِلٰٓى اَبِيْكُمْ فَقُوْلُوْا يٰٓاَبَانَآ اِنَّ
ابْنَكَ سَرَقَ ۚ وَمَا شَهِدْنَآ اِلَّا بِمَا عَلِمْنَا وَمَا كُنَّا
لِلْغَيْبِ حٰفِظِيْنَ ۝٨١ وَسْـَٔلِ الْقَرْيَةَ الَّتِيْ كُنَّا فِيْهَا
وَالْعِيْرَ الَّتِيْٓ اَقْبَلْنَا فِيْهَا ۭ وَاِنَّا لَصٰدِقُوْنَ ۝٨٢ قَالَ بَلْ
سَوَّلَتْ لَكُمْ اَنْفُسُكُمْ اَمْرًا ۭ فَصَبْرٌ جَمِيْلٌ ۭ عَسَى اللّٰهُ اَنْ
يَّاْتِيَنِيْ بِهِمْ جَمِيْعًا ۭ اِنَّهٗ هُوَ الْعَلِيْمُ الْحَكِيْمُ ۝٨٣ وَتَوَلّٰى
عَنْهُمْ وَقَالَ يٰٓاَسَفٰى عَلٰي يُوْسُفَ وَابْيَضَّتْ عَيْنٰهُ مِنَ

---

طريقه سپده بنيامينه سنز رهائي يته سُو يتهٕ تمهِ بوبابه صيبس نشهِ۔ اِرْجِعُوْٓا اِلٰٓى اَبِيْكُمْ فَقُوْلُوْا يٰٓاَبَانَآ اِنَّ
ابْنَكَ سَرَقَ بوروزه يت تُهه گڑهوِ بابه صيبس نشهِ۔ وَنيو تَس بابه صيبا تُهندِ فرزندن بنيامين حض كَر
ژُور تمهِ مُوكه آوُ سُو گرفتار كرنه۔ سُو ديتُهه نه اَسهِ سيتِ واپس وَمَا شَهِدْنَآ اِلَّا بِمَا عَلِمْنَا اسِ چهنهِ
ونان مگرتي يِه اسهِ معلُوم چهُو۔ اَسهِ ڈُچهه پنه نيو اچهُو تمسندِه باردانه منزه پادشهٕه سُند مينن بانه نيران
وَمَا كُنَّا لِلْغَيْبِ حٰفِظِيْنَ اس ما آسِ غيبه چَن كتهن راچهِ گره ونِ۔ مُعاهده كرنهِ وقته ما اُوس اَسهِ
معلُوم يُتهٕ هيو مُشكل تهِ ليهِ پيش وَسْـَٔلِ الْقَرْيَةَ الَّتِيْ كُنَّا فِيْهَا وَالْعِيْرَ الَّتِيْٓ اَقْبَلْنَا فِيْهَا سانهِ
نَے پرژهه بهوه تُهه پرژهتو تمهِ شهره كين لوگن يته منز اسِ آسِ ياتهٕ قافلس يمن سيتِ اسِ واپس آيے
وَاِنَّا لَصٰدِقُوْنَ يقيناً چهُوهِ اسِ پوزونه ونِ قَالَ بَلْ سَوَّلَتْ لَكُمْ اَنْفُسُكُمْ اَمْرًا حضرتِ
يعقوبن دوپهٕ بنيامين چهُو نه ژُور كرنه مُوكه گرفتار آمُت كرنه بلكه چهُوهِ تُهه پنه ني دِله كتهاه تيار كران
فَصَبْرٌ جَمِيْلٌ ازتهِ كره بُو صبر برو نتُهمي پاڈهِ شكايت كرنه كُنهِ قسمه عَسَى اللّٰهُ اَنْ يَّاْتِيَنِيْ بِهِمْ
جَمِيْعًا اِنَّهٗ هُوَ الْعَلِيْمُ الْحَكِيْمُ شايد الله تعالىٰ ما واتناوه تمن سارني فرزندن مهِ نش كيازِه سُو چهُو بيشك
سو رُوي زانن ڈول سيٹهاه حكمته ووِل وَتَوَلّٰى عَنْهُمْ وَقَالَ يٰٓاَسَفٰى عَلٰي يُوْسُفَ وَابْيَضَّتْ عَيْنٰهُ مِنَ

الْحُزْنِ فَهُوَ كَظِيْمٌ ﴿٨٤﴾ قَالُوْا تَاللّٰهِ تَفْتَؤُا تَذْكُرُ يُوْسُفَ حَتّٰى تَكُوْنَ حَرَضًا اَوْ تَكُوْنَ مِنَ الْهٰلِكِيْنَ ﴿٨٥﴾ قَالَ اِنَّمَآ اَشْكُوْا بَثِّيْ وَحُزْنِيْٓ اِلَى اللّٰهِ وَاَعْلَمُ مِنَ اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿٨٦﴾ يٰبَنِيَّ اذْهَبُوْا فَتَحَسَّسُوْا مِنْ يُّوْسُفَ وَاَخِيْهِ وَلَا تَايْئَسُوْا مِنْ رَّوْحِ اللّٰهِ ؕ اِنَّهٗ لَا يَايْئَسُ مِنْ رَّوْحِ اللّٰهِ اِلَّا الْقَوْمُ الْكٰفِرُوْنَ ﴿٨٧﴾ فَلَمَّا دَخَلُوْا عَلَيْهِ قَالُوْا يٰٓاَيُّهَا الْعَزِيْزُ مَسَّنَا

---

الْحُزْنِ فَهُوَ كَظِيْمٌ امہ پتہ پُھر کھ بُتھ تمن نشہ بیس طرفس کُن تو پتہ لگ وننہ ہائے کو تاہ غم چھوم حضرتِ یُوسفہ سُند غمہ سبہ وَدان وَدان گیہ اَچھہ سفید۔ یہ غم آسِ اَندر اندری شوپر اوان۔ یمہ سبہ دِلس اُوسکھ ہول قَالُوْا تَاللّٰهِ تَفْتَؤُا تَذْكُرُ يُوْسُفَ حَتّٰى تَكُوْنَ حَرَضًا اَوْ تَكُوْنَ مِنَ الْهٰلِكِيْنَ تمہ اولاد لَگکھ دَپنہ قسم خدا اُتھہ چھوہ ہمیشہ، پریتھ وقتہ حضرتِ یُوسفہ سند یاد کران یُوتان تُہہ سُپد یوہ کمزور تہ لاغر یا سپدِو ای وجہ ہلاک۔ یُوت غم کھینہ اندرہ کیاہ فائیدہ چھو قَالَ اِنَّمَآ اَشْكُوْا بَثِّيْ وَحُزْنِيْٓ اِلَى اللّٰهِ تمو دُوپکھ توہہ کیاہ چھوہ میانس ودنس تہ رِونس سیت۔ بُو چھوس نہ پننہ رنج وغمج گراو کران کانسہ تہ خدا ایس ورائے توہہ چھسوہ نہ کیھنہ تہ ونان وَاَعْلَمُ مِنَ اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ خدایہ سندِ معاملہ یُوت بو زانہ تیُوت زانو نہ تُہہ۔ تہند لُطف و کرم چھو بے شمار يٰبَنِيَّ اذْهَبُوْا فَتَحَسَّسُوْا مِنْ يُّوْسُفَ وَاَخِيْهِ وَلَا تَايْئَسُوْا مِنْ رَّوْحِ اللّٰهِ ای میانیو فرزندو اظہار غم گژھہ کرُن خدایہ سی نشہ۔ مُسبب الاسباب چھو سُوی یُوت۔ لیکن ظاہری تدبیر کرنس چھونہ کانہہ حرج۔ تُہہ گژھو نالہِ پھرہ بیہ مصرس کُن تہتہ کرِو تلاش حضرتِ یوسفہ سُند بیہ کرتو کوشش بنیامینہ سنزہ رہائی ہنز۔ نا امید مَہ سپد تو خدایہ سندہ رحمتہ نشہ۔ اِنَّهٗ لَا يَايْئَسُ مِنْ رَّوْحِ اللّٰهِ اِلَّا الْقَوْمُ الْكٰفِرُوْنَ بے شک تہندہ رحمتہ نشہ سپدہ نہ کانہہ تہ نا امیہ کافروو رای۔ تو پتہ درای تم وات بیہ مصرس منز عزیز مصرس سمکھنہ خیطرہ فَلَمَّا دَخَلُوْا عَلَيْهِ قَالُوْا يٰٓاَيُّهَا الْعَزِيْزُ مَسَّنَا وَاَهْلَنَا الضُّرُّ وَجِئْنَا بِبِضَاعَةٍ مُّزْجٰىةٍ تو پتہ یلہِ تس نشہ ژاے۔ دوپہس

وَاَهۡلَنَا الضُّرُّ وَجِئۡنَا بِبِضَاعَةٍ مُّزۡجٰىةٍ فَاَوۡفِ لَنَا الۡكَيۡلَ وَتَصَدَّقۡ عَلَيۡنَا ؕ اِنَّ اللّٰهَ يَجۡزِى الۡمُتَصَدِّقِيۡنَ ﴿۸۸﴾ قَالَ هَلۡ عَلِمۡتُمۡ مَّا فَعَلۡتُمۡ بِيُوۡسُفَ وَاَخِيۡهِ اِذۡ اَنۡتُمۡ جٰهِلُوۡنَ ﴿۸۹﴾ قَالُوۡۤا ءَاِنَّكَ لَاَنۡتَ يُوۡسُفُ ؕ قَالَ اَنَا يُوۡسُفُ وَهٰذَاۤ اَخِىۡ قَدۡ مَنَّ اللّٰهُ عَلَيۡنَا ؕ اِنَّهٗ مَنۡ يَّتَّقِ وَيَصۡبِرۡ فَاِنَّ اللّٰهَ لَا يُضِيۡعُ اَجۡرَ الۡمُحۡسِنِيۡنَ ﴿۹۰﴾ قَالُوۡا تَاللّٰهِ لَقَدۡ اٰثَرَكَ

اى عزیز مصر دراگہ سبہ ووت اَسہِ تہ سانس عیالس سخت تکلیف۔ وُنہ چھ اسِ آمت ردّی سامانہ مُویہ ہناہیتھ۔ کیازِ ہ دون رُودنہ اَسہِ نِش کہنی مال فَاَوۡفِ لَنَا الۡكَيۡلَ وَتَصَدَّقۡ عَلَيۡنَا ووَنِ دِتہ اَسہِ ژہ پوٗر غلہ (پُس اَسہِ پوٗشہ ہا) خیرات کرتہ اَسہِ پیٹھ۔ اِنَّ اللّٰهَ يَجۡزِى الۡمُتَصَدِّقِيۡنَ پزٕ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو خیرات کرہ وٕنین اجر و ثواب عطا کران حضرتِ یُوسفن ہیو کنہ یہنزہ مَسکنت آمیز کتھہ بوٗزِتھ تاب کٔرِتھ کہِ تمِ کیاہ تھوہ ہَن ڈُنہ پنُن حال پوٗشیدہ قَالَ هَلۡ عَلِمۡتُمۡ مَّا فَعَلۡتُمۡ بِيُوۡسُفَ وَاَخِيۡهِ اِذۡ اَنۡتُمۡ جٰهِلُوۡنَ حضرتِ یُوسفن پرٕ ژھکھ توہہِ چھُو یاد توہہِ کیاہ کور وہ یُوسفس تہ تہندِس بایس بنیامینس نسبت پلہِ ناتُہہ نادان آسوہ۔ تِم گے حیران یہ عزیزِ مصر کیاہ چھُو اَسہِ پرٕ ژھان۔ اُوتانِ اُوس حضرتِ یوسف تِھس پیٹھ نقاب تراوِتھ یمن سیتِ کتھ کران۔ تِموٕ تُل نقاب تھود تِمَن پیہ تتھ پیٹھ نظرتہ پرزہ ناوِکھ۔ مگر یقین حاصِل کرنہ خیطرہ لگِس پرٕ ژھنہ قَالُوۡۤا ءَاِنَّكَ لَاَنۡتَ يُوۡسُفُ تمِ لگِس پرٕ ژھنہِ ژٕی ماحض چھُو کھ حضرتِ یوسف قَالَ اَنَا يُوۡسُفُ وَهٰذَاۤ اَخِىۡ دُوپنکھ بوٗی چھُوس یوسُف۔ بیہ یہ بنیامین چھُو میون بوٗی تِمَن تہہ ژھانڈنہ دراستِ چھُوہ۔ اسِ دُوشوٕے چھہِ جمع سپدمت اکسی جایہ قَدۡ مَنَّ اللّٰهُ عَلَيۡنَا پزٕ پاٹھِ بڈمنّت تھاو اللہ تعالیٰ ان اَسہِ دوشونِ پیٹھ۔ گوڈہ دِتُن اَسہِ توفیق صبر و تقویٰ اُک۔ تِمکہِ برکتہ کورُن سون تکلیف بدل راحتس سیت۔ سان جدائی کٔرن بدل اکھ اکس سیتِ ملاقات کرنس سیتِ۔ تنگدستی کرن بدل ڈٔنس سیت اِنَّهٗ مَنۡ يَّتَّقِ وَيَصۡبِرۡ فَاِنَّ اللّٰهَ لَا يُضِيۡعُ اَجۡرَ الۡمُحۡسِنِيۡنَ

اللّٰهُ عَلَيْنَا وَإِنْ كُنَّا لَخٰطِـِٔيْنَ ﴿٩١﴾ قَالَ لَا تَثْرِيْبَ عَلَيْكُمُ
الْيَوْمَ يَغْفِرُ اللّٰهُ لَكُمْ وَهُوَ اَرْحَمُ الرّٰحِمِيْنَ ﴿٩٢﴾ اِذْهَبُوْا
بِقَمِيْصِيْ هٰذَا فَاَلْقُوْهُ عَلٰى وَجْهِ اَبِيْ يَاْتِ بَصِيْرًا ۚ
وَاْتُوْنِيْ بِاَهْلِكُمْ اَجْمَعِيْنَ ﴿٩٣﴾ وَلَمَّا فَصَلَتِ
الْعِيْرُ قَالَ اَبُوْهُمْ اِنِّيْ لَاَجِدُ رِيْحَ يُوْسُفَ لَوْلَآ اَنْ
تُفَنِّدُوْنِ ﴿٩٤﴾ قَالُوْا تَاللّٰهِ اِنَّكَ لَفِيْ ضَلٰلِكَ الْقَدِيْمِ ﴿٩٥﴾

---

البتہ یُس کھوژِہ اللہ تعالیٰ اَس بیہِ کرِہ تکلیفن پیٹھ صبر۔ پُس اللہ تعالیٰ چھُونہ نیکو کارن ہنز مزوُرِ ضایع کران۔ تمِ ساری واقعات پُی تِمن ژٔتیس تمِ سپدِ شرمندہ قَالُوْا تَاللّٰهِ لَقَدْ اٰثَرَكَ اللّٰهُ عَلَيْنَا وَإِنْ كُنَّا لَخٰطِـِٔيْنَ تمِ ساری لگِ وننہِ خدایہِ سنز دری پٔنز پاٹھِ اللہ تعالیٰ اَن دُیت توہہِ فضیلت اَسہِ پیٹھ۔ پزِ پاٹھِ سانِ کنِ آوٚ اُتر۔ یہِ کنیژ ہاہ اَسہِ کور تتھ اندر چھہِ اسِ خطاکار۔ خدایہِ سندہ خیطرہ کٔرِ وتھ سارسیِ اَسہِ بخشایش قَالَ لَا تَثْرِيْبَ عَلَيْكُمُ الْيَوْمَ حضرت یوسُفن دوپُھ میانہِ طرفہ چھُنہ کانہہ ملامت تہ گراوٚ۔ کانہہ الزام توہہِ پیٹھ از۔ دِل میُون سپد صاف توہہِ پیٹھ بے فکر رُوزِو يَغْفِرُ اللّٰهُ لَكُمْ وَهُوَ اَرْحَمُ الرّٰحِمِيْنَ اللہ تعالیٰ تہ کرِن توہہِ بخشایش تہ مغفرت۔ سُو چھُو یژر حم کرہ وُن اِذْهَبُوْا بِقَمِيْصِيْ هٰذَا فَاَلْقُوْهُ عَلٰى وَجْهِ اَبِيْ يَاْتِ بَصِيْرًا گژھو وٚنِ دِیو بشارت بابہ صیبس۔ سیتِ نیوِ یہ میانِ کرُتِن۔ یِہے تراوِو تہندِس بُتھس پیٹھ۔ یمہِ سیتِ سپدَن تہنز ہ اچھہِ رُوشن۔ وَاْتُوْنِيْ بِاَهْلِكُمْ اَجْمَعِيْنَ تمِ اننِ یُور مہ نشہِ تشریف۔ بیہِ ییو تُہہ سورُوی اہل و عیال ہیتھ مہ نشہِ وَلَمَّا فَصَلَتِ الْعِيْرُ یلہِ مصرہ نشہِ یُہند قافلہ سپدُ روانہ قَالَ اَبُوْهُمْ اِنِّيْ لَاَجِدُ رِيْحَ يُوْسُفَ لَوْلَآ اَنْ تُفَنِّدُوْنِ یُہندِ بابہ صیبن دوپ بیشک از چھُوس بوٚیُوسفہ سُند بُوی خوش محسوس کران تُہہ نے مہ بجرہ سبہ بے عقل زانو قَالُوْا تَاللّٰهِ اِنَّكَ لَفِيْ ضَلٰلِكَ الْقَدِيْمِ تمو دوپُہس واقعی چھوِہ تُہہ تتھ پرانس غلط خیالس اندر مُبتلا۔ توہہِ چھُوہ خیال

فَلَمَّآ اَنْ جَآءَ الْبَشِيْرُ اَلْقٰىهُ عَلٰى وَجْهِهٖ فَارْتَدَّ بَصِيْرًا ج
قَالَ اَلَمْ اَقُلْ لَّكُمْ ج اِنِّىْٓ اَعْلَمُ مِنَ اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿٩٦﴾
قَالُوْا يٰٓاَبَانَا اسْتَغْفِرْ لَنَا ذُنُوْبَنَآ اِنَّا كُنَّا خٰطِـِٕيْنَ ﴿٩٧﴾
قَالَ سَوْفَ اَسْتَغْفِرُ لَكُمْ رَبِّىْ ط اِنَّهٗ هُوَ الْغَفُوْرُ الرَّحِيْمُ ﴿٩٨﴾
فَلَمَّا دَخَلُوْا عَلٰى يُوْسُفَ اٰوٰٓى اِلَيْهِ اَبَوَيْهِ وَقَالَ ادْخُلُوْا
مِصْرَ اِنْ شَآءَ اللّٰهُ اٰمِنِيْنَ ﴿٩٩﴾ ط وَرَفَعَ اَبَوَيْهِ عَلَى الْعَرْشِ

---

کہ یوسف چھُو زندٕ ے۔ بیہ گرٕ تس سیت ملاقات۔ امی خیالکہ غلبہ سیتِ چھُو سپدان توہہِ محسوس تُھند
خوشبو۔ تموٕ کر ژھوپہ۔ فَلَمَّآ اَنْ جَآءَ الْبَشِيْرُ اَلْقٰىهُ عَلٰى وَجْهِهٖ فَارْتَدَّ بَصِيْرًا حضرتِ یُوسفہ سندٕ
صحیح وسلامت آسنچ خوشخبرانہ ڈن یلہِ آوٕ کرٕ تنِ ہیتھ توپتہ تراوٕ تمِ سُو حضرتِ یعقوبہ سندِس بُتھس پیٹھ یکدم
سپزٕ تھنزٕ اچھ روشن۔ بیہِ کور تمِ بیان سورُوی حال حضرتِ یُوسفہ سُند قَالَ اَلَمْ اَقُلْ لَّكُمْ اِنِّىْٓ اَعْلَمُ مِنَ
اللّٰهِ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ حضرتِ یعقوبَن فرموٗ کھ مہِ ونیووٕ نا توہہِ کہ خدایہ سنزن کتھن پُوت بُو واقف
چھُس تیُوت زانِونہ تُہہ قَالُوْا يٰٓاَبَانَا اسْتَغْفِرْ لَنَا ذُنُوْبَنَآ اِنَّا كُنَّا خٰطِـِٕيْنَ تموٕ سارِوی دوپُچھ ای
سانہِ بابہ صیبہ سانہِ خیطرٕ منگِو ہزٕ گُنہن مغفرت۔ بے شک اسِ آسِ خطاکار، سانہ وجہ ڈوت توہہِ
سیٹھاہ تکلیف قَالَ سَوْفَ اَسْتَغْفِرُ لَكُمْ رَبِّىْ اِنَّهٗ هُوَ الْغَفُوْرُ الرَّحِيْمُ تمِ دوپُچھ عنقریب منگہ بُو تُہندِ
خیطرٕ مغفرت خدایس۔ تہجِد کہ وقتہ کیازِ تمہِ وقتہ چھُو دعا قبول۔ بے شک سُو چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ
ڈن سیٹھاہ رحم کرہ ڈن۔ توپتہ کرکھ تیاری درایِ۔ ساری سپدِ روانہ شہرِ مصرس کُن۔ حضرتِ یُوسف
دراوٕ بُتھہِ بابہ صیبس اِستقبالہ خیطرٕ۔ مصرس نزدیک اکس جایہ اوس حضرتِ یوسُفن اکھ عالیشان مکاناہ
بنوومُت۔ گوڈٕ نیک ملاقات سپدٕ تمِ تتھِ مکانس اندر فَلَمَّا دَخَلُوْا عَلٰى يُوْسُفَ اٰوٰٓى اِلَيْهِ اَبَوَيْهِ
پَس یلہِ ژای تم اتھ مکانس اندر حضرتِ یوسُفس نشہِ تموٕ دِژ پانس نکھتل جائے حضرتِ یعقوبس بیہِ
والدس یاخالس تعظیمہ کن وَقَالَ ادْخُلُوْا مِصْرَ اِنْ شَآءَ اللّٰهُ اٰمِنِيْنَ حضرتِ یوسفن دوپُچھ وونِ اژوِ شہر

وَخَرُّوْا لَهٗ سُجَّدًا ۚ وَقَالَ يٰٓاَبَتِ هٰذَا تَاْوِيْلُ رُءْيَايَ مِنْ قَبْلُ ۫ قَدْ جَعَلَهَا رَبِّيْ حَقًّا ؕ وَقَدْ اَحْسَنَ بِيْٓ اِذْ اَخْرَجَنِيْ مِنَ السِّجْنِ وَجَآءَ بِكُمْ مِّنَ الْبَدْوِ مِنْۢ بَعْدِ اَنْ نَّزَغَ الشَّيْطٰنُ بَيْنِيْ وَبَيْنَ اِخْوَتِيْ ؕ اِنَّ رَبِّيْ لَطِيْفٌ لِّمَا يَشَآءُ ؕ اِنَّهٗ هُوَ الْعَلِيْمُ الْحَكِيْمُ ﴿۱۰۰﴾ رَبِّ قَدْ اٰتَيْتَنِيْ مِنَ الْمُلْكِ

---

مِصر س منز۔ خدا یَنے یوژھ تتہِ رُوزِو ژھِہ خاطرِ جمعی سان۔ جدائی ہُند تہ قحطُک غم کوس اللہ تعالیٰ اَن۔ تو پتہ یلہِ مِصر س منز ژای تتہِ واتناوِ تِم حضرتِ یوسفن شاہی محلاتن اندر وَرَفَعَ اَبَوَيْهِ عَلَى الْعَرْشِ بیہ بہناوِن تِم دوشوَے پانس سیتِ شاہی تختس پیٹھ۔ تمہِ ساتہ سپز تِمن عجیب کیفتیاہ۔ حضرت یوسفن عظمت سپز تہندین دِلن پیٹھ وَخَرُّوْا لَهٗ سُجَّدًا تِمو سارِوی دیُت تِمن سجدہ وَقَالَ يٰٓاَبَتِ حضرتِ یوسفن دُوپ ای میانہِ بابہ صیبہ هٰذَا تَاْوِيْلُ رُءْيَايَ مِنْ قَبْلُ ای کیا حَض اُوس میانہِ خوابُک تعبیر۔ یُس برونٹھ مہِ وچھُمت اُوس قَدْ جَعَلَهَا رَبِّيْ حَقًّا پتہِ پاٹھِ میانِ پروردگارن کورمیُون خواب حق تہ پُوز وَقَدْ اَحْسَنَ بِيْٓ اِذْ اَخْرَجَنِيْ مِنَ السِّجْنِ پتہِ پاٹھِ رنگہ رنگہ گُورمہِ نسبت میانِ پروِردگارن احسان۔ اکھ گُوڈنِس بُو قید خانہِ نشہِ باعزت، جُرمہ نشہِ بالکل بری تو پتہ واتنووُنس سلطنتکس مرتبس وَجَآءَ بِكُمْ مِّنَ الْبَدْوِ تُہہ ساری واتناوِنوہ یُوت مہِ نشہِ نیٚبرہ پیٹھ مِنْۢ بَعْدِ اَنْ نَّزَغَ الشَّيْطٰنُ بَيْنِيْ وَبَيْنَ اِخْوَتِيْ یہِ سُوری سپد شیطانہ سندِ سببہ۔ مہِ منز تہ میانین باین منز اِختلاف تہ فساد تراونہ پتہ۔ تِم تراوِیو اَسہِ منز سُو اختلاف۔ تِمسُند خیال اوس ساری عُمرہ مامیلونہ اَسِ اکھ اکس سیتِ۔ اِنَّ رَبِّيْ لَطِيْفٌ لِّمَا يَشَآءُ ؕ اِنَّهٗ هُوَ الْعَلِيْمُ الْحَكِيْمُ پتہِ پاٹھِ میُون پروردگار چھُو رُت تدبیرہ کرہ وُن۔ تِمہِ خیطرہ یہِ سُو یژھان چھُو۔ بے شک سُو چھُو سیٹھاہ زانہ وُن سیٹھاہ حکمتہ وُول۔ اَمہِ پتہ رُودِ تِم سارِی اتھ مِصر سی اَندر خوش وخوشحال۔ یُوتانِ حضرتِ یعقوبس تمہِ عالمہ گرژھنُک وقت وُوت۔ تِمو کر وصیّت ای زِہ بو گرژھہ ملکِ شامس اندر واتناوِت دفن کرُن پنہ نین بُزرگن سیتِ۔ تمہِ پتہ سپد حضرتِ

وَ عَلَّمْتَنِي مِنْ تَأْوِيْلِ الْأَحَادِيْثِ ۚ فَاطِرَ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ ۖ أَنْتَ وَلِيّٖ فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ۚ تَوَفَّنِيْ مُسْلِمًا وَّاَلْحِقْنِيْ بِالصّٰلِحِيْنَ ﴿١٠١﴾ ذٰلِكَ مِنْ اَنْۢبَآءِ الْغَيْبِ نُوْحِيْهِ اِلَيْكَ ۚ وَمَا كُنْتَ لَدَيْهِمْ اِذْ اَجْمَعُوْٓا اَمْرَهُمْ وَهُمْ يَمْكُرُوْنَ ﴿١٠٢﴾ وَمَآ اَكْثَرُ النَّاسِ وَلَوْ حَرَصْتَ بِمُؤْمِنِيْنَ ﴿١٠٣﴾ وَمَا تَسْـَٔلُهُمْ عَلَيْهِ

---

یوسفس تہ آخر تک اشتیاق۔ تمو کور دُعا رَبِّ قَدْ اٰتَيْتَنِيْ مِنَ الْمُلْكِ وَ عَلَّمْتَنِيْ مِنْ تَاْوِيْلِ الْاَحَادِيْثِ ای میانہ پروردگارہ پنز پاٹھ ژہ کریتھ مہ عطا پیتھ رنگہ نعمژ۔ ظاہری تہ تہ باطنی تہ۔ ظاہری گئیہ سلطنت، پادشہت، باطنی گئیہ کہ بُو ہیچھنوو تھس خوابن ہند تعبیر فَاطِرَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ای آسمانن تہ زمین ہندہ پیدہ کرونہ اَنْتَ وَلِيّٖ فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ژی چھُکھ میون کارساز دنیاء س منز تہ آخرتس منز۔ یتھہ پاٹھ میانہ سارے کامہ ژہ دُنیاء س منز انجام دِژتھ تیتھے پاٹھ واتناو میانہ آخرچہ کامہ تہ انجام تَوَفَّنِيْ مُسْلِمًا وَّاَلْحِقْنِيْ بِالصّٰلِحِيْنَ یمہ عالمہ نہ مہ فرمانبرداری ہندس حالس منز۔ بیہ واتناوِمہ نیکوکارن سیتۍ ذٰلِكَ یہ قصہ چھُو مِنْ اَنْۢبَآءِ الْغَيْبِ نُوْحِيْهِ اِلَيْكَ غیبہ چو خبرو اندرہ یُس اسہِ وحیہ پاٹھ سوز توہہ کُن یار سول اللہ۔ کیازہ توہہ نشہ اُوس نہ وحیہ ورای بیہ کینہہ ذریعاہ یمہ سیتۍ توہہ یہ قصہ معلوم سپدہ ہا وَمَا كُنْتَ لَدَيْهِمْ اِذْ اَجْمَعُوْٓا اَمْرَهُمْ وَهُمْ يَمْكُرُوْنَ بیہ آسونہ تُہہ حضرت یوسفہ سندین بایَن نشہ تمہ ساتہ یلہ تمو پنُن ارادہ پختہ کور حضرت یوسفس چھس منز تراونہ خیطرہ بیہ آس تم تمہ خیطرہ تدبیر کران کہ بابہ صبیس ونو یتھہ پاٹھ تہ تم کڈو کھ یتھہ پاٹھ۔ یہ کتھ چھہ یقینی کہ تُہہ بُو زونہ یہ قصہ کانسہ نشہ لہذا اچھہ یہ صاف دلیل تُہندس نبوتس پیٹھ تُہندس صاحب وحے آسنس پیٹھ وَمَآ اَكْثَرُ النَّاسِ وَلَوْ حَرَصْتَ بِمُؤْمِنِيْنَ باوجود آل کرن نہ پژھہ توہہ واریاہ لوکھ اگرچہ توہہ آسن سیٹھاہ خواہش پچ۔ تُہندہ ایمان نہ اننہ سیتۍ چھونہ توہہ کانہہ نقصان وَمَا تَسْـَٔلُهُمْ عَلَيْهِ مِنْ اَجْرٍ کیازہ تُہہ چھوہ نہ منگان تمن نشہ امہ قرآنِ مجیدہ خیطرہ کانہہ مزوریاہ اِنْ هُوَ اِلَّا ذِكْرٌ

مِنْ اَجْرٍؕ اِنْ هُوَ اِلَّا ذِكْرٌ لِّلْعٰلَمِيْنَ ﴿۱۰۴﴾ وَكَاَيِّنْ مِّنْ اٰيَةٍ فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ يَمُرُّوْنَ عَلَيْهَا وَهُمْ عَنْهَا مُعْرِضُوْنَ ﴿۱۰۵﴾ وَمَا يُؤْمِنُ اَكْثَرُهُمْ بِاللّٰهِ اِلَّا وَهُمْ مُّشْرِكُوْنَ ﴿۱۰۶﴾ اَفَاَمِنُوْٓا اَنْ تَاْتِيَهُمْ غَاشِيَةٌ مِّنْ عَذَابِ اللّٰهِ اَوْ تَاْتِيَهُمُ السَّاعَةُ بَغْتَةً

---

لِّلْعٰلَمِيْنَ چھُونہٕ یہِ قرآنِ مجید یُس تُہہ تمَن پیٹھ پَران چھوِہ مگر بڈ نصیحت عالمین ہندِ ہ خیطر ہ۔ یُس نہ اتھ مانہ تمِس چھُو پانَس نقصان وَكَاَيِّنْ مِّنْ اٰيَةٍ فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ يَمُرُّوْنَ عَلَيْهَا وَهُمْ عَنْهَا مُعْرِضُوْنَ یتھہ پاٹھِ تِم لُوکھ مُنکرِ نبوّت چھِہ تِتھے پاٹھِ چھِہ تِم منکرِ توحیدتہٕ۔ کیازہ کاتیاہ آیات تہٕ نشانہ خدایہٕ سندِس کُن آسنَس پیٹھ تِم آسمانن تہٕ زمینن منز چھِہ تِمو کَنِ لُوکھ پکان چھِہ۔ تِم آیات ڈ چھان چھِہ تِم چھِہ تِموَ آیاتو نِشہِ بے توجّہی کران وَمَا يُؤْمِنُ اَكْثَرُهُمْ بِاللّٰهِ اِلَّا وَهُمْ مُّشْرِكُوْنَ بیہِ چھِہ اکثر لُوکھ تِم خدایَس پزٕھہ تہٕ کران چھِہ باوجُود آسہٕ چھِہ تِم مُشرِک، شِرکچ کامہِ کران۔ یعنی زیوٕہِ سیٹھِ چھِہ ساری ونان کہ اللہ تعالیٰ ای چھُو مالِک تہٕ رزاق۔ مگر باوجود آسہٕ چھِہ تَس شریک ٹھہراوان۔ چنانچہ کفارِ مکہ آسِ ونان سُون رُب چھُو اللہ تعالیٰ تو پتہٕ آسِ بُتلین سجدہ کران ملایٔکن خدایہٕ سنزہ کورِ ونان۔ یُہود چھِہ خدایَس مانان مگر تتھ سیٹھِ چھِہ ونان حضرتِ عزیر چھُو خدایہٕ سُند نیچو۔ تِتھے پاٹھِ چھِہ بعضی لُوکھ عالمنِ

تہٕ راہبن خدایہٕ سنزن کامین اندر اختیارہ والِ زانان۔ واریاہ لُوکھ چھِہ قبر پرستی پیر پرستی، تعزیہ پرستی سیٹھِ توحیدہ کِس چشمہ مُصفّیٰ اَس مُکدّر تہٕ گدل کران۔ کیتیاہ چھِہ توحیدُک دعویٰ کرِت ہوا پرستی سیٹھِ، پَتَن سُو دعویٰ باطِل کران، بدعتن، پانٕے ٹھہراوِ متین چیزن ہنز پیروی کران۔ یِمچ دلیل نہ کتاب و سُنّتَس اَندر کُنہِ جایہِ موجُود چھِہ۔ لہٰذا توحیدہ ورای خدایَس ایمان اُنُن تہٕ پزٕھہ گرنِ چھِہ بے کار۔ یُتھ ایمان اُنُن تہٕ نہ اُنُن چھُو برابری۔ لُوکن ہنز یژھ حالت آسِتھ اَفَاَمِنُوْٓا اَنْ تَاْتِيَهُمْ غَاشِيَةٌ مِّنْ عَذَابِ اللّٰهِ چھا تِم سُو کھس تہٕ اطمنانَس اندر بہتھ یمہِ نِشہِ کہ تِمن کیا پیہِ خدایہٕ سندِ عذابچ ترٕژھ بلا یاہ واتھ یُو سہ تِمن پیٹھ طرفہ ولنہ یِیہِ اَوْ تَاْتِيَهُمُ السَّاعَةُ بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ نتہٕ پکھ واتھ قیامت ہنگہ

وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ﴿۱۰۷﴾ قُلْ هٰذِهٖ سَبِيْلِيْٓ اَدْعُوْٓا اِلَى اللّٰهِ ۣ عَلٰي بَصِيْرَةٍ اَنَا وَمَنِ اتَّبَعَنِيْ ۭ وَسُبْحٰنَ اللّٰهِ وَمَآ اَنَا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿۱۰۸﴾ وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ اِلَّا رِجَالًا نُّوْحِيْٓ اِلَيْهِمْ مِّنْ اَهْلِ الْقُرٰى ۭ اَفَلَمْ يَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَيَنْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ۭ وَلَدَارُ الْاٰخِرَةِ خَيْرٌ لِّلَّذِيْنَ اتَّقَوْا ۭ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿۱۰۹﴾

---

تہ مگہ تمِ ژینن نہ یہ کِپارِ آیہ۔ غرض شرک وکُفر چھُو مقتضی عذابس۔ سُو دُنیاءَس اندر اِیتن یا آخرتس اندر۔ تتھ کُن نظر کٔرِتھ اُوس لُوکن لازم عذابس کھو ژُن۔ کفر و شِر کہ نِشہِ پتھ روزُن۔ عذاب دنیوی تہ عذابِ اُخروی نِشہِ پنُن پان بچاوُن قُلْ هٰذِهٖ سَبِيْلِيْٓ اَدْعُوْٓا اِلَى اللّٰهِ عَلٰي بَصِيْرَةٍ اَنَا وَمَنِ اتَّبَعَنِيْ فرماویو کھ تُہہ یارسُول اللہ توحید پوز آسُن یہَے چھہ میانِ وَتھ۔ ناد چھُوس بُو دِوان لُوکن معبُودِ برحقس کُن کامِل واقفیت حاصِل آسِتھ۔ اکھ بُو بیہِ تِمو میانِ پیروی کٔرِ۔ یعنی مہ نِشہِ چھہ توحید و رسالتس پیٹھ دلیل۔ تِمو لُوکو مہِ پڑھ کٔر تِموَ تہِ کٔر پڑھ دلیل بُوزِتھ بے دلیل کتھہِ کُن چھُوس نہ بو کانسہِ دعوت دِوان۔ لہٰذا چھُو حاصِل یہَے کتھ کہ اللہ تعالیٰ چھُو کُنُوی۔ بو چھُوس تیتھ کُن لُوکن ناد دِوان وَسُبْحٰنَ اللّٰهِ مُنزّہ تہ پاک چھُو اللہ تعالیٰ شریک آسنہ نِشہِ وَمَآ اَنَا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ بیہِ چھُوس نہ بُو ہرگز خدایس شرک اَنہ وَنیو اَندرہ وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ اِلَّا رِجَالًا بیہِ سُوزِ نہ اَسہِ توہہِ برونٹھ پیغمبر۔ مگر تمِ ساری آسِ مرد، انسان، ملک آس نہ نُّوْحِيْٓ اِلَيْهِمْ وحی آسِ اَسِ سوزان تمِن کُن مِّنْ اَهْلِ الْقُرٰى تِمَے آسِ شہرن ہندِ روزن والِ۔ گامَن ہندِ نہ۔ تِموَ نہ تمِن ایمان اُون تہ پڑھہ کر تمِ کٔرِ اَسہِ عذابس گرفتار۔ تی بنہِ تِمَنِ مکہ کین کافرن تہِ۔ اَفَلَمْ يَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَيَنْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ کیاہ تِم لُوکھ چھِنا پھیر متِ زمینس منزٕ کُنہِ طرفس پَتِس وچھہِ ہَن تمِ کیاہ انجام چھُو سپد مُت تمِن مُنکرِن ہُند تِمو تِمَنِ برونٹھ خدایہ سندین پیغمبرن اِنکار کورمُت چھُو۔ یاد تھاوِ ویتھ دُنیاءَس منز رُوزِتھ تُہہِ کُفر و نافرمانی اختیار کروہ سُو دُنیا چھُو فانی وَلَدَارُ الْاٰخِرَةِ خَيْرٌ لِّلَّذِيْنَ اتَّقَوْا اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ البتہ

حَتّٰىٓ اِذَا اسْتَيْـَٔسَ الرُّسُلُ وَظَنُّوْٓا اَنَّهُمْ قَدْ كُذِبُوْا جَآءَهُمْ نَصْرُنَا ۙ فَنُجِّىَ مَنْ نَّشَآءُ ۭ وَلَا يُرَدُّ بَاْسُنَا عَنِ الْقَوْمِ الْمُجْرِمِيْنَ ﴿١١٠﴾ لَقَدْ كَانَ فِىْ قَصَصِهِمْ عِبْرَةٌ لِّاُولِى الْاَلْبَابِ ۭ مَا كَانَ حَدِيْثًا يُّفْتَرٰى وَلٰكِنْ تَصْدِيْقَ الَّذِىْ بَيْنَ يَدَيْهِ وَتَفْصِيْلَ كُلِّ شَيْءٍ وَّهُدًى وَّرَحْمَةً لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ﴿١١١﴾ ع

---

آخر تگ گرہ چھُو بہتر تِمن لُوکن ہندِ خیطرہ یِم خدایس کھوژن۔ ٹِھر کہ نِشہِ روزن پتھ کیاہ ڈنہِ چھُوہ نا توہہِ فکرہ تران سۭہِ فانی ناپائیدار چیز اختیار کرُن چھا جان کِنہ سُو چیز یُس باقی تہ پائیدار آسہِ۔ ہر گاہ توہہِ تاخیرِ عذابہ سیتِ شُبہ تہ شک پیدا سپدان چھُو عذابہ کِس واتنس اندر۔ یہِ چھُوہ تُہنز سخت غلطی کیازِہ برونٹھمِن کافرن تہِ آیہِ زیٚچھہِ زیٚچھہِ مہلژ دِنہ۔ حَتّٰىٓ اِذَا اسْتَيْـَٔسَ الرُّسُلُ تااینکہ یلہِ نااُمید سپدِ پیغمبر تِہندہِ ایمان اننہ نِشہِ وَظَنُّوْٓا اَنَّهُمْ قَدْ كُذِبُوْا بیہِ کور گُمانہ تِموٚ کہ بیشک تِمن سیتِ یُس وعدہ آیوو کرنہ سُو آوٚنہ ڈنہِ پوٗرہ کرنہ۔ خبر چھا اَسِ ماگے قومس نِشہِ ایزِ زیٖرِ جَآءَهُمْ نَصْرُنَا فَنُجِّىَ مَنْ نَّشَآءُ تِمِ آسِ یِہ خیال کرانی۔ اتی ووٚتھ سون مدد تہ یاری۔ پَس آوٚ نجات دِنہ تِمن یُہند اَسہِ یُوژھ۔ یعنی باایمان تہ مُوحدن۔ کافر آیِ امہِ عذابہ سیتِ ہلاک کرنہ وَلَا يُرَدُّ بَاْسُنَا عَنِ الْقَوْمِ الْمُجْرِمِيْنَ کیازِہ پتھ چھُونہ یِوان رٹنہ سون عذاب نافرمانن نِشہِ۔ بلکہِ چھُو عذاب تِمن پیٹھ ضرور واقع سپدان۔ اگرچہ ژیر گژھن تتھ اندر۔ لہٰذا امہِ روزِن اَتھ خیالس اندر کُفارِ مکہ لَقَدْ كَانَ فِىْ قَصَصِهِمْ عِبْرَةٌ لِّاُولِى الْاَلْبَابِ پزپاٹھِ چھِ حضرتِ یوسُف تہ تِہندین بایَن ہندِس قِصّس منز بڈ عبرت عقلہِ والین ہندِ خیطرہ مَا كَانَ حَدِيْثًا يُّفْتَرٰى آس نہ یہِ کتھا پانے ٹھرلونہ آمژ وَلٰكِنْ تَصْدِيْقَ الَّذِىْ بَيْنَ يَدَيْهِ وَتَفْصِيْلَ كُلِّ شَيْءٍ بلکہِ چھُو یہِ تصدیق تتھ مضمونس یُس امہِ برونٹھ کتابن منز بیان کرنہ آمُت چھُو۔ بیہِ چھُو تفصیل تہ وضاحت پرتھ چیزچ۔ وَّهُدًى وَّرَحْمَةً لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ بیہِ چھُو بوڈ ہدایت تہ بڈ رحمت تِمن لُوکن ہندِ خیطرہ یِمو ایمان اون۔

# سُوْرَةُ الرَّعْدِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

الٓمّٓرٰ ۚ تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ ۗ وَالَّذِيْٓ اُنْزِلَ اِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ الْحَقُّ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿۱﴾ اَللّٰهُ الَّذِيْ رَفَعَ السَّمٰوٰتِ بِغَيْرِ عَمَدٍ تَرَوْنَهَا ثُمَّ اسْتَوٰى عَلَى الْعَرْشِ وَسَخَّرَ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ ۭ كُلٌّ يَّجْرِيْ لِاَجَلٍ مُّسَمًّى ۭ يُدَبِّرُ الْاَمْرَ يُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ لَعَلَّكُمْ بِلِقَاۗءِ رَبِّكُمْ تُوْقِنُوْنَ ﴿۲﴾ وَهُوَ الَّذِيْ مَدَّ الْاَرْضَ وَجَعَلَ فِيْهَا

---

الٓمّٓرٰ تِمِ گئے حُروف مقطعات یمن ہُند معنی زانہِ پانہ خدا تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ تِم چھِ قرآنِ مجیدک آیات۔ وَالَّذِيْٓ اُنْزِلَ اِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ الْحَقُّ بیہِ یہِ توہہِ کُن نازِل آو کرنہ تُہندس پروردگارہِ سندہ طرفہ تہِ چھُو بالکُل پزٕ۔ تہ اُوس منگان کہ سارنی لُوکن ہنز گژھہِ تتھ پژھ گرنِ۔ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يُؤْمِنُوْنَ مگر واریاہ لُوکھ چھِنہ پژھ کران تِمن شیطانَن وَتھ راوہ راوٕ اَللّٰهُ الَّذِيْ رَفَعَ السَّمٰوٰتِ بِغَيْرِ عَمَدٍ تَرَوْنَهَا خداگوسُوی قدرتہ وول تِم آسمان بُلند کرتھمو ورای۔ وچھان چھوِ کھ تُہہ تم آسمان تَتھے پاٹھہ۔ ثُمَّ اسْتَوٰى عَلَى الْعَرْشِ تَو پتہ سپُد مستوی عرشس پیٹھ۔ تتھہ پاٹھِ یتھہ پاٹھِ تہندِس شانَس شُوبہ وَسَخَّرَ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ كُلٌّ يَّجْرِيْ لِاَجَلٍ مُّسَمًّى بیہِ کرِن آفتاب تہ زُون مُسخر تہ رام پریتھ اکھاہ چھُو تمو دویو اَندرہ پکان پنہ نِس پنہ نِس مَدارس پیٹھ مُقررہ وقتس اندر۔ چنانچہ آفتاب اَکس وَرہس پتَن مَدار طے کران۔ زُون چھہ اَکس ریتس طے کران يُدَبِّرُ الْاَمْرَ يُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ سُوی چھُو تمن سارنی کامین ہُند تدبیر کران یمہِ عالمس اَندر واقع سپدان چھہ۔ سُوی چھُو بتفصیل تکوینی تہ تشریعی دلیلہ صاف صاف بیان کران لَعَلَّكُمْ بِلِقَاۗءِ رَبِّكُمْ تُوْقِنُوْنَ یتھ تُہہ قیامتک دوہ پنہ نِس پروردگارس سیتِ ملاقاتُک تہ تَس نِشہِ حاضر سپدنُک یقین کرِو وَهُوَ الَّذِيْ

رَوَاسِيَ وَأَنْهٰرًا ۖ وَمِنْ كُلِّ الثَّمَرٰتِ جَعَلَ فِيهَا زَوْجَيْنِ اثْنَيْنِ
يُغْشِي الَّيْلَ النَّهَارَ ۚ إِنَّ فِي ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ ③ وَ
فِي الْأَرْضِ قِطَعٌ مُّتَجٰوِرٰتٌ وَّجَنّٰتٌ مِّنْ أَعْنَابٍ وَّزَرْعٌ وَّنَخِيلٌ
صِنْوَانٌ وَّغَيْرُ صِنْوَانٍ يُّسْقٰى بِمَآءٍ وَّاحِدٍ ۚ قف وَنُفَضِّلُ بَعْضَهَا
عَلٰى بَعْضٍ فِي الْأُكُلِ ۚ إِنَّ فِي ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ ④ وَ
إِنْ تَعْجَبْ فَعَجَبٌ قَوْلُهُمْ ءَإِذَا كُنَّا تُرٰبًا ءَإِنَّا لَفِي خَلْقٍ

---

مَدَّ الْأَرْضَ وَجَعَلَ فِيهَا رَوَاسِيَ وَأَنْهٰرًا بيهِ گو خدا سُوئي تہ زمين وِھروو آبس پيٽھ۔ بيهِ گرن تھ منز پيده
كوه ناوِه هندِ لنگر ہی يُتھ سو آبس پيٽھ قرار کرِہ۔ بيهِ پھرہ وِن تتھ زمينس اندر جويہ تہ درياو وَمِنْ كُلِّ
الثَّمَرٰتِ جَعَلَ فِيهَا زَوْجَيْنِ اثْنَيْنِ بيهِ گرِن پر يتھ ميوکِ اتھ منز زيز قِسم جوره جورو، مدرتہ ژوکِ۔
ٹيوٹھ تہ ميوٹھ۔ اکھ اکھِ رنگہ بياکھ بيهِ رنگہ۔ اکھ ژھوٹ بياکھ زِيُوٹھ۔ اکھ رود بياکھ ڈُلوم يُغْشِي الَّيْلَ
النَّهَارَ سُوئي چھُوراژهنزِه تاريکي سيتِ دُہگ گاش ولان تہ پوشيده تھاوان إِنَّ فِي ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ
يَّتَفَكَّرُوْنَ بے شک اتھ منز چھہ وارياه دليلہ۔ خدايِہ سندہ وحدانيّۃ چِہ۔ فِکرہ کرہ وِنين ہندِہ خيطرہ۔
يتھے پاٹھِ چھہ بيهِ دليلہ خدايِہ سندِہ وحدانيّۃ چِہ وَفِي الْأَرْضِ قِطَعٌ مُّتَجٰوِرٰتٌ بيهِ چھِہ زمينس منز زمينکِ
وارياه ٹُکره، قطعہ، نکھہ نکھہ۔ تمِ باوجودِ نکھتلِہ آسکہ بيون بيون تاثير تھوان چھِہ۔ وَّجَنّٰتٌ مِّنْ أَعْنَابٍ
بيهِ چھِہ دَچھِہ باغ وَّزَرْعٌ بيهِ چھِہ مختلف کھِہ۔ يعني زرعي زمين وَّنَخِيلٌ بيهِ چھِہ خزر کُلِ صِنْوَانٌ
وَّغَيْرُ صِنْوَانٍ دوشاخل بيهِ اک شاخل يُّسْقٰى بِمَآءٍ وَّاحِدٍ يمنی چھُوسگ يوان دِنہ اَکی آبہ سيتِ
وَنُفَضِّلُ بَعْضَهَا عَلٰى بَعْضٍ فِي الْأُكُلِ باوجود آں چھِہ فضيلت دِوان اَسِ اڈين اڈين پيٽھ ميوَن اَندر
(يعني زمين کنُوی، آب کنُوی، مگر ميوه تہ پھل بيون بيون إِنَّ فِي ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ پرٛپاٹھِ
اَتھ اَندر چھہ بجِہ بجِہ دليلہ خدايِہ سندِس کُن آسنس پيٽھ عاقل تہ سمجھدار لوکن ہندِہ خيطره وَإِنْ تَعْجَبْ
فَعَجَبٌ قَوْلُهُمْ ءَإِذَا كُنَّا تُرٰبًا ءَإِنَّا لَفِي خَلْقٍ جَدِيدٍ بيهِ ہرگاه تُہہ کُنِہ کتھِہ پيٽھ تعجّب گرِ وتلہِ چھہ

جَدِيدٍ ۗ أُولَٰئِكَ الَّذِينَ كَفَرُوا بِرَبِّهِمْ ۖ وَأُولَٰئِكَ الْأَغْلَالُ فِي
أَعْنَاقِهِمْ ۖ وَأُولَٰئِكَ أَصْحَابُ النَّارِ ۖ هُمْ فِيهَا خَالِدُونَ ۝٥
وَيَسْتَعْجِلُونَكَ بِالسَّيِّئَةِ قَبْلَ الْحَسَنَةِ وَقَدْ خَلَتْ مِنْ
قَبْلِهِمُ الْمَثُلَاتُ ۗ وَإِنَّ رَبَّكَ لَذُو مَغْفِرَةٍ لِلنَّاسِ عَلَىٰ
ظُلْمِهِمْ ۖ وَإِنَّ رَبَّكَ لَشَدِيدُ الْعِقَابِ ۝٦ وَيَقُولُ الَّذِينَ
كَفَرُوا لَوْلَا أُنْزِلَ عَلَيْهِ آيَةٌ مِنْ رَبِّهِ ۗ إِنَّمَا أَنْتَ مُنْذِرٌ ۖ

تعجّب لایق کافرن ہنز یہ کتھ کہ کیاہ سا یلہِ اَسہِ میٖژ گامژ آسہِ توٗ پتہ تِمو اَسِ دوبارہ بیہ پیدہ کرنہ قیامتُک دوہ۔ تعجّب لایق چھہ یہ کتھ امی کہ تِمن احمقن چھُونہ تران فکرہ کہ تِمہِ ذات پاکن ساری مخلوق کٔرِ پیدہ کرنِ گوڈنی۔ تِمس نِش کیاہ عجائب چھُو دوبارہ بیہِ تِم پیدہ کرنِ أُولَٰئِكَ الَّذِينَ كَفَرُوا بِرَبِّهِمْ تِم لُوکھ چھِہ تِے تِمو اِنکار کور پننہ نِس پروردگارس کیازِہ تِمو کور پروردگارہ سندِس دوبارہ پیدہ کرنس پیٹھ قُدرتہ وول آسنس اِنکار وَأُولَٰئِكَ الْأَغْلَالُ فِي أَعْنَاقِهِمْ یمی لُوکن ہنزن گردنن منز آسہِ نالِ جہنمُک طوق وَأُولَٰئِكَ أَصْحَابُ النَّارِ هُمْ فِيهَا خَالِدُونَ تِمے لُوکھ چھِہ نارس منز واتن وال۔ تتھ منز چھکھ روزُن ہمیشہ وَيَسْتَعْجِلُونَكَ بِالسَّيِّئَةِ قَبْلَ الْحَسَنَةِ بیہ چھِہ تِم کافر توہہِ نِشہِ بانبر کران عذابہ کِس واتہ نِس اندر۔ عافیتُک معیاد خَتم گژھنہ برونٹھی چھِہ تِم مصیبتُک تہ عذابُک مُطالبہ کران وَقَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِمُ الْمَثُلَاتُ حالانکہِ تِمَن برونٹھ چھِہ کافرن تہ نافرمانن پیٹھ عذابک واقعات گُذرِمتِ۔ یمن پیٹھ عذاب نازِل کرُن کوسہ بڈ کتھ چھہ وَإِنَّ رَبَّكَ لَذُو مَغْفِرَةٍ لِلنَّاسِ عَلَىٰ ظُلْمِهِمْ مگر کتھ چھہ یژی کہِ تہندِس پروردگارہ سُند شانِ حلم و عفو چھُونہ پریتھ لوکٹس بڈِس گُنہس گرفتار کرُن یژھان۔ سُو چھُو لُوکن ہُند ظلم و ستم وِچھان توٗ پتہ چھُو ورگذر کران وَإِنَّ رَبَّكَ لَشَدِيدُ الْعِقَابِ بیہ چھہ یہ کتھ تہ کہِ تُہند پروردگار چھُو سخت عذاب کرہ وُن یقیناً۔ یعنی اللہ تعالیٰ اس منز چھِہ دوشوے صِفت مگر پریتھ صفتُک ظہورہ خیطرہ چھِہ شرط تہ اسباب وَيَقُولُ الَّذِينَ كَفَرُوا لَوْلَا أُنْزِلَ عَلَيْهِ آيَةٌ مِنْ رَبِّهِ بیہ

وَّلِكُلِّ قَوۡمٍ هَادٍ ﴿٧﴾ اَللّٰهُ يَعۡلَمُ مَا تَحۡمِلُ كُلُّ اُنۡثٰى وَمَا تَغِيۡضُ الۡاَرۡحَامُ وَمَا تَزۡدَادُ ؕ وَكُلُّ شَىۡءٍ عِنۡدَهٗ بِمِقۡدَارٍ ﴿٨﴾ عٰلِمُ الۡغَيۡبِ وَالشَّهَادَةِ الۡكَبِيۡرُ الۡمُتَعَالِ ﴿٩﴾ سَوَآءٌ مِّنۡكُمۡ مَّنۡ اَسَرَّ الۡقَوۡلَ وَمَنۡ جَهَرَ بِهٖ وَمَنۡ هُوَ مُسۡتَخۡفٍۢ بِالَّيۡلِ وَسَارِبٌۢ بِالنَّهَارِ ﴿١٠﴾ لَهٗ مُعَقِّبٰتٌ مِّنۡۢ بَيۡنِ يَدَيۡهِ وَمِنۡ خَلۡفِهٖ يَحۡفَظُوۡنَهٗ

---

ڇو ته ونان ئي ڪافر ڪيا ڙ ه ڇو ته اُمس پيغمبر س پيٺ ڪانهه خاص معجزاه (يُس اُس ڙهانڊان ڇهِ) نازل سپدان اُمسند س پروردگار ه سند ه طرفه اِنَّمَآ اَنۡتَ مُنۡذِرٌ وَّلِكُلِّ قَوۡمٍ هَادٍ تُهه نه حض ڇهوه نه مگر بيم گره ونِ۔ بيه ڇهوه تُهه و ته هاوه ونِ۔ يته پاٺِ پر يته قومه خيطره اکه اکه و ته هاوه ڏناه از تال گذريومت ڇهو۔ توهِ ڇهونه اميگ اختيار ڪهِ تُهه ڪياهاوِ و تمن سُو معجزه يُس تمِ طلب ڪرن اَللّٰهُ يَعۡلَمُ مَا تَحۡمِلُ كُلُّ اُنۡثٰى وَمَا تَغِيۡضُ الۡاَرۡحَامُ وَمَا تَزۡدَادُ الله تعالیٰ ڇهو زانان تهِ سورُوي يهِ تُلان ڇهه پنِه يڊ منز پرت زنانه۔ گُور ڇهاڪنه پُنچو۔ پور ڇهاڪنه اوڏي۔ بيهِ ڇهو زانان بچه دانهِ هُند ڙهوٽن ته زيٺهن۔ ڙمُن ته مُڙرنه يُن۔ يعنی ڪم سپدُن ته زياده سپدُن وَكُلُّ شَىۡءٍ عِنۡدَهٗ بِمِقۡدَارٍ پر يته چيز اه ڇهو لس نشهِ خاص اندازه موجب مقرر ڪرنه آمُت عٰلِمُ الۡغَيۡبِ وَالشَّهَادَةِ الۡكَبِيۡرُ الۡمُتَعَالِ سُو ڇهو پر يته پوشيده چيز ته نون چيز زانه وَن۔ سُوي ڇهو بوڏ ته ٿهود سَوَآءٌ مِّنۡكُمۡ مَّنۡ اَسَرَّ الۡقَوۡلَ وَمَنۡ جَهَرَ بِهٖ وَمَنۡ هُوَ مُسۡتَخۡفٍۢ بِالَّيۡلِ وَسَارِبٌۢ بِالنَّهَارِ برابر ڇهو خدايه سندِ س علمس نشهِ توهِ اندر سُو شخص يُس لوته ڪٿه ڪرهِ بيهِ سُو شخص يُس بڏه ڪٿه ڪرهِ۔ بيهِ سُو شخص يُس راڙهنزِ ه انهِ گٺه منز ڪهٽت روزهِ بيهِ سُو شخص يُس دوهلهِ نئن پاٺِ ڪامهِ ڪران آسهِ۔ اوره يُور ڦيران آسهِ۔ يته پاٺِ سُو پر يته اکس زانان ڇهو تهي پاٺ ڇهو پر يته اکسنز حفاظت ته ڪران لَهٗ مُعَقِّبٰتٌ مِّنۡۢ بَيۡنِ يَدَيۡهِ وَمِنۡ خَلۡفِهٖ يَحۡفَظُوۡنَهٗ مِنۡ اَمۡرِ اللّٰهِ پر يته انسانه سنزِ ه حفاظته خيطره ڇهه تمِ ٿهاومت ته مُقرر ڪرمتِ ڪيهنه ملڪ يم اکه اکس پته ڪامهِ پيٺ يوان ڇهه ته گرڻهان ڇههِ تمے ڇههِ روزان امسِ انسانس برونٺه ڪنِ تهِ، ٿر ڪنِ تهِ۔ راڇهِ ته حفاظت ڇههِ امسِ انسانس ڪران وار يهوَ بلايو نشهِ

مِنْ اَمْرِ اللّٰهِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا یُغَیِّرُ مَا بِقَوْمٍ حَتّٰی یُغَیِّرُوْا مَا
بِاَنْفُسِهِمْ ؕ وَ اِذَاۤ اَرَادَ اللّٰهُ بِقَوْمٍ سُوْٓءًا فَلَا مَرَدَّ لَهٗ ۚ وَ مَا لَهُمْ
مِّنْ دُوْنِهٖ مِنْ وَّالٍ ﴿۱۱﴾ هُوَ الَّذِیْ یُرِیْكُمُ الْبَرْقَ خَوْفًا وَّ طَمَعًا
وَّ یُنْشِئُ السَّحَابَ الثِّقَالَ ﴿۱۲﴾ وَ یُسَبِّحُ الرَّعْدُ بِحَمْدِهٖ وَ الْمَلٰٓئِكَةُ
مِنْ خِیْفَتِهٖ ۚ وَ یُرْسِلُ الصَّوَاعِقَ فَیُصِیْبُ بِهَا مَنْ

---

خدایہ سندِ حُکمہ سیتِ۔ اَمہِ سیتِ گژھہِ نہ زانُن کہِ یلہِ ملایِک چھہِ پریتھ اکس حفاظت تہٕ راچھہِ کران لہٰذا یہِ خوش کرہِ تہٕ تہِ کرِو۔ کفر و معصیت تہٕ نافرمانی کرِو۔ کیاہ پرواچھُو۔ ملایِک چھہِ راچھہِ۔ یہِ خیال کرُن چھُو محض لغو۔ کیازہ اللہ تعالیٰ اگرچہ سُو چھُونہ ابتداءً کانسہِ عذابس گرفتار کران چنانچہِ فرماوان چھُو اِنَّ اللّٰهَ لَا یُغَیِّرُ مَا بِقَوْمٍ حَتّٰی یُغَیِّرُوْا مَا بِاَنْفُسِهِمْ پتہٕ یاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُونہ بدلاوان کُنہِ قومہ کِس رٔتس حالس صلاحیتس یُوتان نہ تم پانے بدلاوان چھہِ رٔتس حالس تہٕ صلاحیتس نافرمانیو سیتِ یلہِ تمِ پنہ نِس صلاحیتس منز خلل تراوان چھہِ۔ اللہ تعالیٰ چھُو تہندِ ہ خیطرہ عذاب تہٕ مصیبت تجویز فرماوان وَاِذَاۤ اَرَادَ اللّٰهُ بِقَوْمٍ سُوْٓءًا فَلَا مَرَدَّ لَهٗ بیہِ یلہِ اللہ تعالیٰ یژھان چھُو کُنہِ قومہ خیطرہ عذاب تہٕ مصیبت ادہ چھُو نہ تتھ عذابس تہٕ مصیبتس کانہہ چیز اہ دفع تہٕ دور ہیکان کرتھ سُو چھُو ضرور واقع سپدان وَمَا لَهُمْ مِّنْ دُوْنِهٖ مِنْ وَّالٍ بیہِ چھُونہ تِمن لُوکن تمہِ وقتہ کانہہ اکھاہ مددگار ہیکان سپدتھ تَس ورای حتیٰ کہِ تمِ ملایِک تہِ چھنہِ ہیکان حفاظت تہٕ مدد کرِتھ هُوَ الَّذِیْ یُرِیْكُمُ الْبَرْقَ خَوْفًا وَّطَمَعًا وَّیُنْشِئُ السَّحَابَ الثِّقَالَ سُو پروردگار گو سُوی یُس توہہِ بارشہِ ہندِ ہ وقتہ ہاوان چھُو وزملہ ئپہ ئپہ گرہ وُنہِ یتھ اندر تمکہِ پتھر پینک خوف تہِ آسان چھُو تہٕ تمہِ منزہ بارِش تہٕ رُود پینچ اُمیدّ تہِ آسان چھہِ۔ بیہِ چھُو سُوی پیدہ کران تتھ اَبرس یُس رُودہ سیت گو بیومُت چھُو آسان۔ وَیُسَبِّحُ الرَّعْدُ بِحَمْدِهٖ وَالْمَلٰٓئِكَةُ مِنْ خِیْفَتِهٖ بیہِ چھ گگرایہ تسبیح پران تہندِس حمدس سیتِ ملِوتھ تسنز پاکی بیان کران تہندِ تعریف کران بیہِ چھہِ ملایِک تہٕ تسبیح تہٕ حمد پران تس پروردگارہ سندِ ہ خوفہ وَیُرْسِلُ الصَّوَاعِقَ

يَشَآءُ وَهُمْ يُجَادِلُوْنَ فِى اللّٰهِ وَهُوَ شَدِيْدُ الْمِحَالِ ﴿۱۳﴾ لَهٗ دَعْوَةُ الْحَقِّ وَالَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖ لَا يَسْتَجِيْبُوْنَ لَهُمْ بِشَىْءٍ اِلَّا كَبَاسِطِ كَفَّيْهِ اِلَى الْمَآءِ لِيَبْلُغَ فَاهُ وَمَا هُوَ بِبَالِغِهٖ وَمَا دُعَآءُ الْكٰفِرِيْنَ اِلَّا فِىْ ضَلٰلٍ ﴿۱۴﴾ وَلِلّٰهِ يَسْجُدُ مَنْ فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ طَوْعًا وَّكَرْهًا وَّظِلٰلُهُمْ بِالْغُدُوِّ وَالْاٰصَالِ ﴿۱۵﴾ السجدة قُلْ مَنْ رَّبُّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ قُلِ اللّٰهُ قُلْ

فَيُصِيْبُ بِهَا مَنْ يَّشَآءُ بیہ چھُو سُوی ترٹہ تراوان۔ سوی ترٹھ چھووا تناوان تَس پیٹھ یُسند سُو یژھان چھُو وَهُمْ يُجَادِلُوْنَ فِى اللّٰهِ وَهُوَ شَدِيْدُ الْمِحَالِ تمِ کافر تہ مُنکر چھِہ بحث ہیوان کرُن توہہِ سیتِ یارسُول اللہ تَس خدایہ سندِس حقس اندریُس عظیم الشان چھُو۔ بیہ چھُو سخت رٹن وول۔ تَس پزہ کھوژُن۔ مگر یم چھنہ تَس کُنہِ قِسمہ کھوژان تَس چھہ شریک ٹھہراوان۔ بیہ چھُو سُو بندن ہندِس منگنس اجابت تہِ کران لَهٗ دَعْوَةُ الْحَقِّ تَس شوبہ پزپاٹھ نادتہ آلو دیُن حاجتھ وقتہ کیازِہ اجابت کرنچ قُدرت چھہ تَس یاژ وَالَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖ تمِ لُوکھ تَس ورای بین باطِل معبودن آلو دِوان چھِہ لَا يَسْتَجِيْبُوْنَ لَهُمْ بِشَىْءٍ تمِ چھنہِ تہندِس منگنس کُنہِ قِسمہ اجابت گران کُنہِ چیزہ سیتِ۔ اِلَّا كَبَاسِطِ كَفَّيْهِ اِلَى الْمَآءِ لِيَبْلُغَ فَاهُ وَمَا هُوَ بِبَالِغِهٖ مگر یتھے پاٹھِ یتھہ پاٹھِ کانہہ شخصاہ دُورہ آبس کُن اَتھہ زہ وہراوِتھ خیال کرِہ سُو آب گژھیم پانے آسَس منزواتُن۔ حالانکہِ سُو آب ہیکہ نہ پانے امسندِہ دُورِہ اَتھہ زہ مُژراونہ سیتِ اَمسندِس آسس منزواتتھ۔ یہے چھہ مِثال تمن لُوکن ہنز تمِ معبودِ برحقس ورای بَین معبودن منگان چھِہ۔ منگُن تہ آلو دیُن شوبہِ تَس یُس پریتھ قِسمہ نفع وضرُک مالِک چھُو۔ یُس پانہ عاجزتہ محتاج آسہِ۔ تَس آلودِنس منز کیاہ فائیدہ چھُو۔ وَمَا دُعَآءُ الْكٰفِرِيْنَ اِلَّا فِىْ ضَلٰلٍ کافرِن ہُند منگُن چھُو نہ مگر بے اثر تہ بے فائیدہ۔ وَلِلّٰهِ يَسْجُدُ مَنْ فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ طَوْعًا وَّكَرْهًا وَّظِلٰلُهُمْ بِالْغُدُوِّ وَالْاٰصَالِ بیہ چھِہ معبودِ برحقہ سی تمِ ساری نمان تہ سجدہ کران تمِ

اَفَاتَّخَذۡتُمۡ مِّنۡ دُوۡنِهٖۤ اَوۡلِيَآءَ لَا يَمۡلِكُوۡنَ لِاَنۡفُسِهِمۡ نَفۡعًا وَّلَا ضَرًّا ؕ قُلۡ هَلۡ يَسۡتَوِى الۡاَعۡمٰى وَالۡبَصِيۡرُ ۙ اَمۡ هَلۡ تَسۡتَوِى الظُّلُمٰتُ وَالنُّوۡرُ ۚ اَمۡ جَعَلُوۡا لِلّٰهِ شُرَكَآءَ خَلَقُوۡا كَخَلۡقِهٖ فَتَشَابَهَ الۡخَلۡقُ عَلَيۡهِمۡ ؕ قُلِ اللّٰهُ خَالِقُ كُلِّ شَىۡءٍ وَّهُوَ الۡوَاحِدُ الۡقَهَّارُ ﴿۱۶﴾ اَنۡزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَسَالَتۡ

---

آسمانن ۽ زمين اندر ڇھ. بعضے مخلوق خوشي سيت. بعضے مجبور سپدت. بيه ڇهو تهند سايه ۽ تس نمان صبحس ۽ شامس قُلۡ مَنۡ رَّبُّ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ تهه پرژهيوُک آسمانن ۽ زمين هُند رب کُهه ڇهو تِم جواب ونه نس اندر ژير کرن قُلِ اللّٰهُ تهه فرماويُو کهه يورے الله تعالیٰ اِی ڇهو تِمن هُند رُب ۽ مالک. قُلۡ اَفَاتَّخَذۡتُمۡ مِّنۡ دُوۡنِهٖۤ اَوۡلِيَآءَ فرماويُو کهه کياه سمه توحيد ڇهِ دليله بُوزِت بناوُکهه توهه تس ورای پنن دُوست ۽ مددگار تِم معبود لَا يَمۡلِكُوۡنَ لِاَنۡفُسِهِمۡ نَفۡعًا وَّلَا ضَرًّا تِم تِمن نه اختيار ۽ طاقت ڇهو پنه نين پانن هنده خيطره کُنه نفعُک ۽ کُنه ضرُرک بين نفع يا ضرروا تاونچ ڇهنه کُهی قُلۡ هَلۡ يَسۡتَوِى الۡاَعۡمٰى وَالۡبَصِيۡرُ پرژهيو کهه گاشدار ۽ اون ڇها برابری اَمۡ هَلۡ تَسۡتَوِى الظُّلُمٰتُ وَالنُّوۡرُ بيه ڇهانُٹه ۽ گاش برابری. يعني مُوحِدس ۽ مُشرکس منز ڇهه تيژ فرق ايژ گاشدارس ۽ اَنِس منز ڇهه. يتھے پاٹھِ ڇهه توحيدس ۽ شرکس منز تيژ فرق ايژگُٹه ۽ گاشس منز ڇهه. اَمۡ جَعَلُوۡا لِلّٰهِ شُرَكَآءَ خَلَقُوۡا كَخَلۡقِهٖ فَتَشَابَهَ الۡخَلۡقُ عَلَيۡهِمۡ کُنه تِمو ٹھهراوِ خدايس تِم شريک تِمو خدايه سندی پاٹھ مخلوق پيده کرمت ڇهه. توپته آيه نه تِمن کانهه فرق بوزنه خدايه سندين مخلوقاتن منز ۽ تهندين مخلوقاتن منز قُلِ اللّٰهُ خَالِقُ كُلِّ شَىۡءٍ وَّهُوَ الۡوَاحِدُ الۡقَهَّارُ تهه فرماويُو کهه الله تعالیٰ ای ڇهو پريتھ چيزک پيده کرهوُن. مخلوقات ڇهه ساری تهندی يات بيه ڇهو سُوکُنوی پننه ذاتهٕ کن ۽ صفاتوُکن. سارنی مخلوقاتن پيٹھ ڇهو غالب، اِيچ مِثال اَنۡزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً الله تعالیٰ اَن تروو آسمانکهِ طرفه رُوداه فَسَالَتۡ اَوۡدِيَةٌۢ بِقَدَرِهَا يُوتے رُود پوک نالو منز پننه پننه اندازه موجب. يعني بڈِه ناله منز

اَوْدِيَةٌۢ بِقَدَرِهَا فَاحْتَمَلَ السَّيْلُ زَبَدًا رَّابِيًا ؕ وَمِمَّا
يُوْقِدُوْنَ عَلَيْهِ فِي النَّارِ ابْتِغَآءَ حِلْيَةٍ اَوْ مَتَاعٍ زَبَدٌ
مِّثْلُهٗ ؕ كَذٰلِكَ يَضْرِبُ اللّٰهُ الْحَقَّ وَالْبَاطِلَ ۬ؕ فَاَمَّا
الزَّبَدُ فَيَذْهَبُ جُفَآءً ۚ وَاَمَّا مَا يَنْفَعُ النَّاسَ
فَيَمْكُثُ فِي الْاَرْضِ ؕ كَذٰلِكَ يَضْرِبُ اللّٰهُ الْاَمْثَالَ ؕ ﴿۱۷﴾
لِلَّذِيْنَ اسْتَجَابُوْا لِرَبِّهِمُ الْحُسْنٰى ؕ وَالَّذِيْنَ لَمْ يَسْتَجِيْبُوْا لَهٗ لَوْ اَنَّ

---

زیادہ لوکٹہِ نالہ منز کم فَاحْتَمَلَ السَّيْلُ زَبَدًا رَّابِيًا پس تُل اَم رودہ وونِ پانس پیٹھ پوس یتھ سیت
ژھوٹھ تہ لژھہ آس۔ بیاکھ مِثال وَمِمَّا يُوْقِدُوْنَ عَلَيْهِ فِي النَّارِ ابْتِغَآءَ حِلْيَةٍ اَوْ مَتَاعٍ زَبَدٌ
مِّثْلُهٗ بیہ چھوٗ تھان تِموٗ چیز وأندرہ یِم چیز یِم نارس پیٹھ گالان چھِ (سون، رُوپھ تہ ترام ہیو) گہنہ
زیور یا سامان بناونہ خیطرہ پوٗ ساہ تتھ آبہ کِس پٔتِس ہیو۔ كَذٰلِكَ يَضْرِبُ اللّٰهُ الْحَقَّ وَالْبَاطِلَ اللہ
تعالیٰ چھوٗ یِتھے پاٹھِ پزِچ تہ اپزِچ مِثال بیان فرماوان یعنی ایمانٕچ تہ کُفرِچ توحیدچ تہ شرکٕچ مِثال فرماوان
فَاَمَّا الزَّبَدُ فَيَذْهَبُ جُفَآءً توپتہ یُس پوس چھوٗ آسان سیلابُک یا سونک تہ روپُک سُو چھوٗ پانے
ہوکھِت گژھان توپتہ چھوٗ سُو تراوِتھ یوان شیرنہ وَاَمَّا مَا يَنْفَعُ النَّاسَ فَيَمْكُثُ فِي الْاَرْضِ
مگر یُس چیز لُوکن کیُت مُفید چھوٗ آسان آب یا سٔون تہ رُوپھِ سُو چھوٗ روزان موجوٗد تہ باقی دُنیاہس اندر۔
یِتھے پاٹھِ چھوٗ اپُز گلان۔ پُوز چھوٗ ظاہرِ تہ نون نیران۔ اگرچہ اپز دباوِتَن کینہہ کالاہ پزِس مگر پتو لاکہ چھوٗ
پوٗزُوی پزان كَذٰلِكَ يَضْرِبُ اللّٰهُ الْاَمْثَالَ یِتھے پاٹھِ چھوٗ اللہ تعالیٰ لُوکن کتھہ فِکرہ تارنہ خیطرہ مِثالہ
بیان کران لِلَّذِيْنَ اسْتَجَابُوْا لِرَبِّهِمُ الْحُسْنٰى یِمو لُوکو خدایہ سندِ احکام مانِ توحید و طاعت اختیار کرنہ
سیت تِہندِہ خیطرہ چھہ رژ مُزورِ۔ سُو رژ مُزورِ گیہ جنّت تہ جنّتٕچ نِعمژ وَالَّذِيْنَ لَمْ يَسْتَجِيْبُوْا لَهٗ بیہ یِمو لُوکو نہ
خدایہ سندِ احکام مانِ کفرو معصیتس پیٹھ قایم روزنہ سیتِ۔ تِہندِہ خیطرہ چھوٗ جہنمُک عذاب۔ لَوْ اَنَّ
لَهُمْ مَّا فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا وَّمِثْلَهٗ مَعَهٗ لَافْتَدَوْا بِهٖ ہرگاہ تِمن نِشہِ تہ سورُوی مال آسہِ یہ سارسی زمینس

لَهُمْ مَّا فِي الْأَرْضِ جَمِيعًا وَّمِثْلَهُ مَعَهُ لَافْتَدَوْا بِهِ ۚ أُولَٰئِكَ لَهُمْ
سُوءُ الْحِسَابِ ۙ وَمَأْوَاهُمْ جَهَنَّمُ ۖ وَبِئْسَ الْمِهَادُ ﴿١٨﴾ أَفَمَن يَعْلَمُ
أَنَّمَا أُنزِلَ إِلَيْكَ مِن رَّبِّكَ الْحَقُّ كَمَنْ هُوَ أَعْمَىٰ ۚ إِنَّمَا يَتَذَكَّرُ أُولُو
الْأَلْبَابِ ﴿١٩﴾ الَّذِينَ يُوفُونَ بِعَهْدِ اللَّهِ وَلَا يَنقُضُونَ الْمِيثَاقَ ﴿٢٠﴾
وَالَّذِينَ يَصِلُونَ مَا أَمَرَ اللَّهُ بِهِ أَن يُوصَلَ وَيَخْشَوْنَ رَبَّهُمْ وَ
يَخَافُونَ سُوءَ الْحِسَابِ ﴿٢١﴾ وَالَّذِينَ صَبَرُوا ابْتِغَاءَ وَجْهِ رَبِّهِمْ
وَأَقَامُوا الصَّلَاةَ وَأَنفَقُوا مِمَّا رَزَقْنَاهُمْ سِرًّا وَعَلَانِيَةً وَيَدْرَءُونَ

---

منز چھُو بیہِ تتھ سیتِ بیہِ تیُوت مال ضرور دِہَن بدلہ تمہِ عذابہ نِشہِ مُوکلنہ خیطرہ اُولَٰئِكَ لَهُمْ سُوءُ الْحِسَابِ تمِنی لُوکن ہندِہ خیطرہ چھُو پتھ حِساب وَمَأْوَاهُمْ جَهَنَّمُ وَبِئْسَ الْمِهَادُ بیہِ چھہ تہنزی جایِ نارِ جہنّم۔ کاژاہ پتھ جایا چھہ سُو أَفَمَن يَعْلَمُ أَنَّمَا أُنزِلَ إِلَيْكَ مِن رَّبِّكَ الْحَقُّ كَمَنْ هُوَ أَعْمَىٰ آیا سُو شخص یُس زانان چھُو یہِ کنیژ ہاہ توہہِ پیٹھ نازِل آوُ کرنہ تہندِس پروردگارہ سندِہ طرفہ تہِ سُو رُوی چھُو حق تہ پُوز۔ سُو چھا تِس شخص ہیو یُس اُون آسہ ہرگز یہِ چھہ مِثال باایمانس تہ کافرہ سنز إِنَّمَا يَتَذَكَّرُ أُولُو الْأَلْبَابِ نصیحت چھِنہ رٹان مگر عقلہِ والی الَّذِينَ يُوفُونَ بِعَهْدِ اللَّهِ وَلَا يَنقُضُونَ الْمِيثَاقَ عقلہِ والِ گئے تِمے تِم پُور چھہِ کران خدایہِ سندس عہدس بیہِ چھنہِ پھرٕ وان تتھ عہدس نافرمانیو سیتِ وَالَّذِينَ يَصِلُونَ مَا أَمَرَ اللَّهُ بِهِ أَن يُوصَلَ بیہِ گئے عقلہِ والِ تِمے لُوکھ تِم مِلہ ناوان چھہِ تِمن حُکمن تِمَنِ ہندِہ مِلہ ناوُنک حُکم کور اللہ تعالیٰ اَن یعنی صِلہِ رحم وَيَخْشَوْنَ رَبَّهُمْ وَيَخَافُونَ سُوءَ الْحِسَابِ بیہِ تِم کھوژان چھہِ پنہ نِس خدایس بیہِ چھہِ سخت عذابُک اندیشہِ کران وَالَّذِينَ صَبَرُوا ابْتِغَاءَ وَجْهِ رَبِّهِمْ بیہِ تِمو صبر کور فرمانبرداری پیٹھ بلامَن تہ مصیبتن پیٹھ۔ بیہِ گُنہو نِشہِ پتھ روزنس پیٹھ پنہ نِس پروردگارہ سُند رضا حاصِل کرنہ خیطرہ وَأَقَامُوا الصَّلَاةَ بیہِ تھاوکھ نماز برپا۔ وَأَنفَقُوا مِمَّا رَزَقْنَاهُمْ سِرًّا وَعَلَانِيَةً بیہِ کورُکھ خرچ تمہِ مالہ

بِالْحَسَنَةِ السَّيِّئَةَ أُولٰٓئِكَ لَهُمْ عُقْبَى الدَّارِ ﴿٢٢﴾ جَنّٰتُ عَدْنٍ
يَّدْخُلُوْنَهَا وَمَنْ صَلَحَ مِنْ اٰبَآئِهِمْ وَاَزْوَاجِهِمْ وَذُرِّيّٰتِهِمْ وَالْمَلٰٓئِكَةُ
يَدْخُلُوْنَ عَلَيْهِمْ مِّنْ كُلِّ بَابٍ ﴿٢٣﴾ سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ بِمَا صَبَرْتُمْ فَنِعْمَ
عُقْبَى الدَّارِ ﴿٢٤﴾ وَالَّذِيْنَ يَنْقُضُوْنَ عَهْدَ اللّٰهِ مِنْ بَعْدِ مِيْثَاقِهٖ
وَيَقْطَعُوْنَ مَآ اَمَرَ اللّٰهُ بِهٖٓ اَنْ يُّوْصَلَ وَيُفْسِدُوْنَ فِي الْاَرْضِ اُولٰٓئِكَ
لَهُمُ اللَّعْنَةُ وَلَهُمْ سُوْٓءُ الدَّارِ ﴿٢٥﴾ اَللّٰهُ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيَقْدِرُ

---

منزہ پُس اُسی عطا کو رُکھ، پُوشیدہ پاڻُ تہ نِ پاڻِ وَيَدْرَءُوْنَ بِالْحَسَنَةِ السَّيِّئَةَ بيہ چھہِ دُور کران نیکیو
سیتِ بدیہِ کاٗہے تمن نسبت بدی کرِہ تم چھہِ تس نسبت نیکی کران اُولٰٓئِكَ لَهُمْ عُقْبَى الدَّارِ تمنی لُوکن
ہندِہ خیطرہ چھُو رُت انجام آخرتکس گرس اَندر سورُت انجام گو جَنّٰتُ عَدْنٍ يَّدْخُلُوْنَهَا تمِے
جنت یتھ منز تمن واتن چھُو تہ روزُن چھُو وَمَنْ صَلَحَ مِنْ اٰبَآئِهِمْ وَاَزْوَاجِهِمْ وَذُرِّيّٰتِهِمْ بیہِ تہندین مالین
بُڈِ بَن بیہِ تہندین جورَن۔ یعنی مردن زنانہ۔ زنانَن خاوند۔ بیہِ تہندین شُرین مُرین۔ یمن جنتس واتِج
صلاحیّت تہ قابلیّت آسہِ۔ یعنی یم باایمان آسَن۔ تمِ تہ واتن جنتس تہندِہ برکتہ تتھ درجس منز یتھ منز
تمِ آسن وَالْمَلٰٓئِكَةُ يَدْخُلُوْنَ عَلَيْهِمْ مِّنْ كُلِّ بَابٍ بیہِ آسَن ملایکِ اژان تمن نشِہ پریتھ دروازہ کِن۔ وَنان
آسنکھ سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ بِمَا صَبَرْتُمْ فَنِعْمَ عُقْبَى الدَّارِ ای جنتیو سلام بویَوہ۔ یہ بڈُمُز ورِ بنیایہِ توہہِ صبرکہِ
برَکتہ۔ تُہہ کیا رُودِو دینِ حقس پیٹھ مضبُوط۔ پَس کیاہ رُت چھُو سُو مقام یُس توہہِ حاصِل سپُد وَالَّذِيْنَ
يَنْقُضُوْنَ عَهْدَ اللّٰهِ مِنْ بَعْدِ مِيْثَاقِهٖ ووَنِ گئے تمِ لُوکھ یم پھُٹراوان چھہِ خدایہ سنُد عہد تمکہِ مضبُوط تہ
محکم کرنہ پتہ۔ وَيَقْطَعُوْنَ مَآ اَمَرَ اللّٰهُ بِهٖٓ اَنْ يُّوْصَلَ بیہِ چھہِ ژٹان تمِ چیز یمَن ہندِہ مِلہ ناو نک اللہ تعالیٰ اَن
حُکم کور مُت اُوس یعنی آشنائی وَيُفْسِدُوْنَ فِي الْاَرْضِ بیہِ چھہ دنیاءَس منز فساد تُلان کُفرہ تہ نافرمانی سیتِ
اُولٰٓئِكَ لَهُمُ اللَّعْنَةُ تمِ لُوکھ کیا گئے یہندِہ خیطرہِ لعنت چھہِ۔ سُوگیہِ خدایہ سنزِہ رحمتہ نشِہ دُوری وَلَهُمْ
سُوْٓءُ الدَّارِ بیہِ چھُو تہندی خیطرہ تیٚھ گرہ سُو گو نار جہنّم۔ کافرَن ہنز ظاہری دولت و ثروت وچھت

وَفَرِحُوا بِالْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ؕ وَمَا الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا فِي الْاٰخِرَةِ اِلَّا مَتَاعٌ ﴿۲۶﴾ ع

وَيَقُوْلُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَوْلَآ اُنْزِلَ عَلَيْهِ اٰيَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ ؕ قُلْ اِنَّ اللّٰهَ

يُضِلُّ مَنْ يَّشَآءُ وَيَهْدِيْٓ اِلَيْهِ مَنْ اَنَابَ ﴿۲۷﴾ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَتَطْمَئِنُّ

قُلُوْبُهُمْ بِذِكْرِ اللّٰهِ ؕ اَلَا بِذِكْرِ اللّٰهِ تَطْمَئِنُّ الْقُلُوْبُ ﴿۲۸﴾ اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا

وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ طُوْبٰى لَهُمْ وَحُسْنُ مَاٰبٍ ﴿۲۹﴾ كَذٰلِكَ اَرْسَلْنٰكَ فِيْٓ

---

گرڻهِ نه ٻيهِ ڌوکي لڳن ڪه ٿيم لوڪ ما آسن مورِدِ رحمت ڪيا ڙهِ رزقِ ڪيفيت ڇهه اَللّٰهُ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيَقْدِرُ الله تعاليٰ ڇهو رِزق هُر ه راوان يِس يژهان ڇهو ته تَس بيهِ ڇهو سُوي رزقس منز تنگي ڪران يِس يژهان ڇهو ته تَس۔ يهِ ڇهو نه رحمت و غضبُک معيار وَفَرِحُوا بِالْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ڪافِر ڇهِ خوش سپدان دنياچهِ زندگي سيت۔ يهِ تهوند خوش سپدُن ڇهو فضول ڪيا ڙه وَمَا الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا فِي الْاٰخِرَةِ اِلَّا مَتَاعٌ حالانڪهِ آخرتچهِ زندگي مُقابله ڇهنه دنياءِ چ زندگي مگر حقير اکه چيز اه۔ يمهِ سيت تمتّع يوان ڇهو ٹلنه ڪم ڪهنه ڪالا وَيَقُوْلُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَوْلَآ اُنْزِلَ عَلَيْهِ اٰيَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ بيهِ ڇهِ ونان ڪافِر تهندس نبوّ تس پيٹھ اعتراض ڪرنه خيطره ڪهِ ڪيا ڙه آونه نازِل ڪرنه حضرتِ محمدّس پيٹھ تُيتھ مُعجزاه پنه نِس پروردگاره سندِه طرفه۔ يُتھ برو نٹھين پيغمبرن پيٹھ نازِل سپدان اوس۔ حضرتِ موسيٰ سُند عصا هيو۔ حضرتِ صالحه سنز وَوٹن هش قُلْ اِنَّ اللّٰهَ يُضِلُّ مَنْ يَّشَآءُ وَيَهْدِيْٓ اِلَيْهِ مَنْ اَنَابَ تُهه فرماويو ڪه پزِ پاٹھِ الله تعاليٰ ڇهو وَته راوه راوان يِس يژهان ڇهو ته تس۔ بيهِ ڇهو سُوي وته هاوان پانس ڪُن تس يُس اِيهِ، مُتوجّه سپدِه تس ڪُن۔ بيهِ يُس پزِه وَتهِ هُند طالِب آسهِ۔ اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَتَطْمَئِنُّ قُلُوْبُهُمْ بِذِكْرِ اللّٰهِ تيمو لوڪو ايمان اون۔ بيهِ ڇهِ تهندِ دِل قرار رٹان خدايهِ سندِه ياده سيتِ اَلَا بِذِكْرِ اللّٰهِ تَطْمَئِنُّ الْقُلُوْبُ واره بُوزِو ڪهِ يادِ خدا ڪرنک خاصيت ڇهو ڪهِ تمهِ سيت ڇهو باايمانن هندين دِلن قرار ته سڪون حاصِل سپدان اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ طُوْبٰى لَهُمْ وَحُسْنُ مَاٰبٍ تيمو لوڪو ايمان اون بيهِ ڪريکھ رڻه عمله تهندِه خيطره ڇهو دُنياءس اندر رُت حال۔ بيهِ آخرتس اندر رُت انجام۔ باعزت واپسي كَذٰلِكَ اَرْسَلْنٰكَ فِيْٓ اُمَّةٍ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهَآ اُمَمٌ بيهِ

أُمَّةٍ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهَآ أُمَمٌ لِّتَتْلُوَا۟ عَلَيْهِمُ الَّذِىٓ أَوْحَيْنَآ إِلَيْكَ وَ
هُمْ يَكْفُرُونَ بِالرَّحْمٰنِ ۚ قُلْ هُوَ رَبِّى لَآ إِلٰهَ إِلَّا هُوَ عَلَيْهِ تَوَكَّلْتُ وَإِلَيْهِ
مَتَابِ ﴿٣٠﴾ وَلَوْ أَنَّ قُرْاٰنًا سُيِّرَتْ بِهِ الْجِبَالُ أَوْ قُطِّعَتْ بِهِ الْأَرْضُ
أَوْ كُلِّمَ بِهِ الْمَوْتٰى ۗ بَل لِّلّٰهِ الْأَمْرُ جَمِيعًا ۗ أَفَلَمْ يَايْئَسِ الَّذِينَ اٰمَنُوٓا۟ أَن
لَّوْ يَشَآءُ اللّٰهُ لَهَدَى النَّاسَ جَمِيعًا ۗ وَلَا يَزَالُ الَّذِينَ كَفَرُوا۟ تُصِيبُهُم

---

یتھ پاٹھِ اَسہِ توہہ برونٹھ پیغمبر سوز برونٹھین اُمتن کُن یتھے پاٹھ سُوزِ وہ اَسہِ تُوہہ تہ یا رسُول اللہ اکِس
اُمتس کُن پیغمبر۔ یِمہ اُمتہ برونٹھ واریاہ اُمژ گذرِ یمژ وہ چھہ لِتَتْلُوَا عَلَيْهِمُ الَّذِيٓ اَوْحَيْنَآ اِلَيْكَ یتھ تُہہ پٔرِ و
تِمن پیٹھ سُہ کتاب یُس اَسہِ تُوہہ کُن بطریقِ وحی نازِل کٔر۔ تِمن پزِہ ہا اتھ بجہ نعمژ پیٹھ شُکر دِیُن۔ اتھ
نعمتس قدر زانُن وَهُمْ يَكْفُرُوْنَ بِالرَّحْمٰنِ مگر یِم چھہِ ناسپاسی تہ کُفرانِ نعمت کران رحمتہ والِس خدایس
قُلْ هُوَ رَبِّيْ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ عَلَيْهِ تَوَكَّلْتُ وَاِلَيْهِ مَتَابِ تُہہ فرماوِیُو کہ سُوی رحمتہ وٲل خدا چھُو میون
پروردگار۔ کانہہ معبُود چھُونہ تس ورای۔ تس پیٹھ کیاہ کورمہ اعتماد تہ توکل۔ بیہ چھُس تس کُن یُو
رجوع کران۔ تس نشہ چھُومہِ واتُن وَلَوْ اَنَّ قُرْاٰنًا سُيِّرَتْ بِهِ الْجِبَالُ اَوْ قُطِّعَتْ بِهِ الْاَرْضُ اَوْ كُلِّمَ بِهِ الْمَوْتٰى
بیہ ہرگاہ کانہہ قرآنہ یعنی کتاباہ آسہ ہا یمہِ سیتِ کوہ اتھ جایہ پیٹھ بیس جایہ کُن پکناونہ یہن یا یمہِ سیتِ دُور
دراز وَتھ طے کرنہ یِیہ ہا یا یمہ سیت مُردہ کتھہ یہن کرناونہ یعنی مُردہ سپد ہن زندہ تمہ سیتِ کیاہ بنِہ ہا۔
یِم کافر اٰنہن نہ توتہ ایمان کیازِہ یِم چیز چھنہ موثر حقیقی بَلْ لِّلّٰهِ الْاَمْرُ جَمِيْعًا بلکہ چھُو سُوری اختیار کُنس
خدایس اتھہِ۔ سُوی یُس ہدایت کرِہ تس بنِہ ہدایت اَفَلَمْ يَايْئَسِ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا کیا مایوس تہ نا امید سپدنا
باایمان یمن معجزہ ژھانڈہ وَنین لُوکن ہندِ ایمان انہ نشہ اَنْ لَّوْ يَشَآءُ اللّٰهُ لَهَدَى النَّاسَ جَمِيْعًا کیازِہ اللہ
تعالیٰ اگر یژھہ ہا سُو کرِہ ہا سارنی لُوکن ہدایت مگر تِم یُو ژھنہ تہ بعض جمعن ہندِ وجہہ۔ لہٰذا بنہ تس ہدایت
یسندہ حقہ سُو یژھہِ۔ معجزہ وُچھتن یا متہ وُچھتن۔ یسندہ حقہ سُو ہدایت یژھہِ نہ تس بنِہ نہ کینہہ تہ۔ معجزہ
وُچھتن یا متہ وُچھتن۔ وَلَا يَزَالُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا تُصِيْبُهُمْ بِمَا صَنَعُوْا قَارِعَةٌ ہمیشہ روزِہ کافرن تہ مُنکرن کُفرہ تہ

بِمَا صَنَعُوا قَارِعَةٌ أَوْ تَحُلُّ قَرِيبًا مِّن دَارِهِمْ حَتَّىٰ يَأْتِيَ وَعْدُ اللَّهِ ۚ إِنَّ اللَّهَ لَا يُخْلِفُ الْمِيعَادَ ﴿٣١﴾ وَلَقَدِ اسْتُهْزِئَ بِرُسُلٍ مِّن قَبْلِكَ فَأَمْلَيْتُ لِلَّذِينَ كَفَرُوا ثُمَّ أَخَذْتُهُمْ ۖ فَكَيْفَ كَانَ عِقَابِ ﴿٣٢﴾ أَفَمَنْ هُوَ قَائِمٌ عَلَىٰ كُلِّ نَفْسٍ بِمَا كَسَبَتْ ۗ وَجَعَلُوا لِلَّهِ شُرَكَاءَ قُلْ سَمُّوهُمْ ۚ أَمْ تُنَبِّئُونَهُ بِمَا لَا يَعْلَمُ فِي الْأَرْضِ أَمْ بِظَاهِرٍ مِّنَ الْقَوْلِ ۗ بَلْ زُيِّنَ لِلَّذِينَ كَفَرُوا مَكْرُهُمْ وَصُدُّوا عَنِ السَّبِيلِ ۗ وَمَن يُضْلِلِ اللَّهُ فَمَا لَهُ مِنْ هَادٍ ﴿٣٣﴾

---

نافرمانی سبب کانہہ نتہ کانہہ مُصیبتھاہ تہ بلایاہ واتان اَوْ تَحُلُّ قَرِيبًا مِّن دَارِهِمْ یاواتیکھ بلای گرن نزدیک حَتَّىٰ يَأْتِيَ وَعْدُ اللَّهِ یُوتان واتہ اللہ تعالیٰ سُند وعدہ یعنی آخر تگ عذاب یُس مرنہ پتہ شروع سپدہ اِنَّ اللَّهَ لَا يُخْلِفُ الْمِيعَادَ پزپاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو نہ پنہ نِس وعدس بدل کران۔ لہذا چھُو تمن پیٹھ عذاب واقع سپُدن یقینی۔ تمن لُوکن ہُند اِنکار یا استہزاء تہ ٹھٹھہ یہ چھُو نہ توہی سیتِ مخصُوص بلکہِ وَلَقَدِ اسْتُهْزِئَ بِرُسُلٍ مِّن قَبْلِكَ فَأَمْلَيْتُ لِلَّذِينَ كَفَرُوا ثُمَّ أَخَذْتُهُمْ پزِ پاٹھِ ٹھٹھہ آی کرنہ کاتہن پیغمبرن تمِ توہہِ برونٹھ آسِ پَس تراوِمہِ یلہ کینہہ کالاہ تمِ ٹھٹھہ گرہ ونِ کافر۔ تمہِ پتہ رٹ مہِ تمِ تہ کٔرِم گرفتارِ عذاب فَكَيْفَ كَانَ عِقَابِ پَس چھُو توہہِ معلُومی مُیون سزا کیُتھ اُوس تمن نسبت۔ تیُو ٹھُوی سزا کیا دِمہ بو تمن ٹھٹھہ کرہ وِنین لُوکن تہِ تمِ توہہِ ٹھٹھہ تہ استہزاء کران چھہِ أَفَمَنْ هُوَ قَائِمٌ عَلَىٰ كُلِّ نَفْسٍ بِمَا كَسَبَتْ آیا سُو پروردگار یُس قائم رُوزِتھ پریتھ شخصہ سنزہ کامہِ وچھان تہ ژرژان چھُو سُو تراویا تمن توہہِ ٹھٹھہ کرہ وِنین سزا دِنہ ورای وَجَعَلُوا لِلَّهِ شُرَكَاءَ قُلْ سَمُّوهُمْ یہِ ٹھہراوِ مُشرِکو خدا یَس شریک۔ تہہ فرماوِیُو کھ یار سُول اللہ تلا تمن ہُند ناو ونتو۔ أَمْ تُنَبِّئُونَهُ بِمَا لَا يَعْلَمُ فِي الْأَرْضِ کِنہ تُہہ چھِوہ خدا یس تِیچ خبر کران یہ نہ تس معلُوم چھُو تمام دُنیاءس اندر أَمْ بِظَاهِرٍ مِّنَ الْقَوْلِ کِنہِ محض ظاہری نقطن ہندِ ہ اعتبارہ چھہِ تمن شریک ونان۔ حقیقت چھنہ تمن لفظن ہنز کنِہی بَلْ زُيِّنَ لِلَّذِينَ كَفَرُوا مَكْرُهُمْ بلکہِ چھہ تمن کافِرن پننہِ مغالطِچہ کتھ جان بِوان بوزنہ تمو کتھو سیتِ تمِ شرکس مُبتلا سپد مت چھہ

لَهُمْ عَذَابٌ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَلَعَذَابُ الْاٰخِرَةِ اَشَقُّ ۚ وَمَا لَهُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ وَّاقٍ ﴿۳۴﴾ مَثَلُ الْجَنَّةِ الَّتِيْ وُعِدَ الْمُتَّقُوْنَ ؕ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ ؕ اُكُلُهَا دَآئِمٌ وَّظِلُّهَا ؕ تِلْكَ عُقْبَى الَّذِيْنَ اتَّقَوْا ۖ وَّعُقْبَى الْكٰفِرِيْنَ النَّارُ ﴿۳۵﴾ وَالَّذِيْنَ اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ يَفْرَحُوْنَ بِمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ وَمِنَ الْاَحْزَابِ مَنْ يُّنْكِرُ بَعْضَهٗ ؕ قُلْ اِنَّمَآ اُمِرْتُ اَنْ اَعْبُدَ اللّٰهَ وَلَآ اُشْرِكَ بِهٖ ؕ اِلَيْهِ

وَصُدُّوْا عَنِ السَّبِيْلِ بیہِ آی تمِ پتھ رٹنہ تہ محرُوم کرنہ سیزِ وَتہِ نشہِ وَمَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنْ هَادٍ يُس خدا اَتھ راورِ تسندِ حقہ چھُونہ کانہہ اکھاہ وتھ ہاوہ وُن لَهُمْ عَذَابٌ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا تہندِ خیطرٕ چھُو بُوڈ عذاب دنیاچہِ زندگانی اندر تہِ سُو گو قتل وضرب وَلَعَذَابُ الْاٰخِرَةِ اَشَقُّ تہندِ خیطرٕ یُس آخرتُک عذاب چھُو سُو چھُو زیادَے مُشکل تہ دشوار وَمَا لَهُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ وَّاقٍ بیہِ چھُونہ تہندِ خیطرٕ خدایہ سندِ تمہِ عذابہِ نشہِ کانہہ بچاوَن وولاہ مَثَلُ الْجَنَّةِ الَّتِيْ وُعِدَ الْمُتَّقُوْنَ حال تہ کیفیت چھہ تمِن جنتّن ہنز یمن ہُند وعدہ کرنہ آوُ پرہیزگارن یم شرک وکُفرٕ نشہِ پتھ روزَن تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ تمہِ کیو کُلیو تہ لریو منز آسَن جویہِ پکان اُكُلُهَا دَآئِمٌ وَّظِلُّهَا کھینہ چیز تمِن جنتّن ہندِ چھہِ پُوشہ وَنِ۔ بیہِ سایہ تمِن جنتّن ہُند چھُو ہمیشہِ روزہ وُن تِلْكَ عُقْبَى الَّذِيْنَ اتَّقَوْا یہِ انجام چھُو تمِن تمِن لُوکن ہُند یمِ شرکہ نشہِ پتھ روزَن وَّعُقْبَى الْكٰفِرِيْنَ النَّارُ کافرِن تہ مشرکُن ہُند انجام چھُو نار جہنّم وَالَّذِيْنَ اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ يَفْرَحُوْنَ بِمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ تمِ لُوک یمن کتاب آیہِ عطا کرنہ یعنی تورات تہ انجیل تمِ چھہِ خوش سپدان تمہِ کتابہ سیتِ یُوسہ توہہِ پیٹھ نازِل آیہ کرنہ یعنے قرآنِ مجید وَمِنَ الْاَحْزَابِ مَنْ يُّنْكِرُ بَعْضَهٗ بیہِ چھہ یمو جماعتو اندرٕ یمِ اِنکار چھہِ کران قرآن مجیدٕ کِس اکِس حصّس یتھ منز تہنزٕ کتابہِ خِلاف احکام چھہ قُلْ اِنَّمَآ اُمِرْتُ اَنْ اَعْبُدَ اللّٰهَ وَلَآ اُشْرِكَ بِهٖ تُہہ فرماویُو کھ مہِ آوُنہ حُکم کرنہ توحیدس متعلق مگر یمہِ کُوی کہ عبادت کرہِ بو کُنس خدایہِ سنز۔ بیہِ انہ نہ بو تس شرِک کُنہِ قِسمہ اِلَيْهِ

اَدْعُوْا وَاِلَيْهِ مَاٰبِ ﴿۳۶﴾ وَكَذٰلِكَ اَنْزَلْنٰهُ حُكْمًا عَرَبِيًّا ؕ وَلَئِنِ
اتَّبَعْتَ اَهْوَآءَهُمْ بَعْدَ مَا جَآءَكَ مِنَ الْعِلْمِ ۙ مَا لَكَ مِنَ اللّٰهِ
مِنْ وَّلِيٍّ وَّلَا وَاقٍ ﴿۳۷﴾ ع وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا رُسُلًا مِّنْ قَبْلِكَ وَ
جَعَلْنَا لَهُمْ اَزْوَاجًا وَّذُرِّيَّةً ؕ وَمَا كَانَ لِرَسُوْلٍ اَنْ يَّاْتِيَ
بِاٰيَةٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ ؕ لِكُلِّ اَجَلٍ كِتَابٌ ﴿۳۸﴾ يَمْحُوا اللّٰهُ مَا يَشَآءُ
وَيُثْبِتُ ۖۚ وَعِنْدَهٗۤ اُمُّ الْكِتٰبِ ﴿۳۹﴾ وَاِنْ مَّا نُرِيَنَّكَ بَعْضَ

---

اَدْعُوْا وَاِلَيْهِ مَاٰبِ نادٕ چھُس بُودوان سارنی لُوکن تِس کُن بیہِ چھُو تس کُن سارنی رجوع کرُن
وَكَذٰلِكَ اَنْزَلْنٰهُ حُكْمًا عَرَبِيًّا بیہِ کوراسہِ نازِل یہِ قرآن مجید حُکماہ عربی پاٹھِ۔ یِتھ پاٹھِ بیٚن پیغمبرن
خاص خاص زیوِہ اندر خاص خاص احکام نازِل کٔرِ۔ وَلَئِنِ اتَّبَعْتَ اَهْوَآءَهُمْ بَعْدَ مَا جَآءَكَ مِنَ الْعِلْمِ
مَا لَكَ مِنَ اللّٰهِ مِنْ وَّلِيٍّ وَّلَا وَاقٍ بیہِ ہرگاہ تُہہ بفرض محال مُنکرن ہنزن خواہشن، نفسانی خیالاتن
یعنی احکام منسوخہ یا احکام محرفن ہنز پیروی تہٕ اتباع کٔرِو۔ توہہ نِش صحیح علم واتنہ پتہٕ۔ تلہِ چھُونہ توہہ
خدایس نِشہِ کانہہ حمایت کرہ وُناہ۔ بیہِ تہندِہ عذابہِ نِشہِ کانہہ بچاوہ وُناہ۔ یہ یلہِ گو نبی کریم صلی اللہ علیہ
وسلمس سیتِ معاملہ باقیٚن ہنز چھنہ کتھی۔ اہل کتابو اندرہ بعضیو کور اعتراض کہ نبی کریمس کیازِ چھہ
وارِیاہ زنانہ۔ تمیُک جواب چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا رُسُلًا مِّنْ قَبْلِكَ وَ جَعَلْنَا لَهُمْ
اَزْوَاجًا وَّذُرِّيَّةً بیہِ سُوزاسہِ پیغمبر توہہِ برونٹھ ،بیہِ کٔرِ اسہِ عطا تمن شُرِ باژ۔ تُہہ تہٕ چھُوہ تہندی پاٹھِ
پیغمبر۔ توہہِ اہل وعیال آسُن کیازِ چھہِ تم نو کتھاہ زانان۔ یہ چھنہ تِرشہ کتھاہ یُوسہ رسالتس تہٕ نبوتس
خلاف چھہ وَمَا كَانَ لِرَسُوْلٍ اَنْ يَّاْتِيَ بِاٰيَةٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ بیہِ اُوس نہ کانہہ پیغمبراہ یُس خدایہ سندِہ
حُکمہ ورای کانہہ آیاہ یا معجزاہ پیش ہیکہِ ہٲکرِ تھ لِكُلِّ اَجَلٍ كِتَابٌ پرِیتھ وقتہ خیطرہ چھہِ مناسِب احکام
تہٕ مُناسب واقعات مقرر کرنہ آمتِ تموی منزہ گے معجزہ تہٕ آیات يَمْحُوا اللّٰهُ مَا يَشَآءُ وَيُثْبِتُ
وَعِنْدَهٗۤ اُمُّ الْكِتٰبِ تموی احکامو منزہ چھُو نہناوان اللہ تعالیٰ تمِ حُکم تم سُو یژھان چھُو۔ باقی چھُو تھاوان تمِ

الَّذِي نَعِدُهُمْ أَوْ نَتَوَفَّيَنَّكَ فَإِنَّمَا عَلَيْكَ الْبَلَاغُ وَعَلَيْنَا الْحِسَابُ ﴿٤٠﴾ أَوَلَمْ يَرَوْا أَنَّا نَأْتِي الْأَرْضَ نَنْقُصُهَا مِنْ أَطْرَافِهَا ۚ وَاللَّهُ يَحْكُمُ لَا مُعَقِّبَ لِحُكْمِهِ ۚ وَهُوَ سَرِيعُ الْحِسَابِ ﴿٤١﴾ وَقَدْ مَكَرَ الَّذِينَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَلِلَّهِ الْمَكْرُ جَمِيعًا ۖ يَعْلَمُ

---

حُڪم ئِيم سُو ڍِهان ڇڏ. تَس نِشِه ڇُو اصل ڪتاب لوحِ محفوظ ۾ منزِ سوَرِوي ڇُو تفصيل ليکهنه آمُت وَإِنْ مَّا نُرِيَنَّكَ بَعْضَ الَّذِي نَعِدُهُمْ أَوْ نَتَوَفَّيَنَّكَ ڪافر ڇھ اِنڪار نبوت ڪرن. تو پتهٕ ڇھ ڌِيان يمه عذابُڪ وعيد ڪرنهٕ يِوان ڇُو سُو عذاب ڪونه ڇُو نازل سپدان. يمهِ عذابُڪ اِس تِمن وعده ڪران ڇھِ تمهِ منزه هر گاه اکھ حِصه اِس توهه هاووه يعني توهي ٿھي ڪروکھ اِس تِم تھ عذابس گرفتار يا ٿھندِ ه. يمهِ عالمه گڙھِڪه پته سپدِ ه تمنِ پيٺھ سُو عذاب واقع خواه دُنياء س منز سپدِ ه سُو عذاب واقع يا آخرتس منز پر يٿھ صورتس منز ڇھُونه توههِ تمُڪ خيال لازم ڪرُن. ڪيازِه فَإِنَّمَا عَلَيْكَ الْبَلَاغُ پس توههِ ڇھُونه مَٽِه مگر پيغام واتناوُن وَعَلَيْنَا الْحِسَابُ اَسهِ ڇُو مَٽِه پرَ ڙھه گار گرنِ حساب هيون ته عذاب ڪرُن. تهه مه ڪرِ و اِڇ ڪانهه فڪرِ. تمن ڪافرن هُندته ڇُو تعجب ڪِه تِم ڪيازِه سَنا ڇھِ تمهِ عذابهِ ڪِس واقع سپدُنس اِنڪار ڪران. ڪياه تِم ڇھِناو ڇھان ڪه مُقدماتِ عذاب هيٿن تهندِ ه خيطره ظاهر سپدِن أَوَلَمْ يَرَوْا آيا تِمِ ڇھِناو ڇھان أَنَّا نَأْتِي الْأَرْضَ ڪِه اِس ڇھِ اسلامِچِه روز بروز فتحه سيت تهندين ملڪن اندر نَنْقُصُهَا مِنْ أَطْرَافِهَا اکھ اکھ حِصه زمينُڪ تهندِ ه قبضه اندره ڪڍِ تھ مسلمانن هندِس قبضس اندر واتناوان. تمهِ سيتِ ظاهر ڇُو سپدان اسلامَس سپدِ ه روز بروز فتح ته نُصرت خدايِه سندِ ه حُڪمه. تهنز عملداري ڇھه روز بروز ڪم گڙھان يِتهِ ڇُو تهندِ ه خيطره اکه قسمُڪ عذاب يُس بڊِ ه عذابُڪ مُقدمه ڇُو وَاللَّهُ يَحْكُمُ الله تعالىٰ يُس حُڪم صادر ڪران ڇُو سُو ڇُو صادر ڪران لَا مُعَقِّبَ لِحُكْمِهِ ڪانهه اکهاه ڇھُونه تهندِس حُڪمس پٿھ رٽه ڊُن. عذاب دُنيوي آسِتن يا عذاب اُخروي. تهنديو معبُودان باطِلو اندره تِمنِ تِم شريڪِ خدا ڇھه ٺھراوان هيڪهِ نه ڪانهه اکهاه تھ عذابس پٿھ رٽھ وَهُوَ سَرِيعُ الْحِسَابِ بيِه ڇُو سُو جلد حساب هيوه ڊُن. حسابه

مَا تَكْسِبُ كُلُّ نَفْسٍ ۗ وَسَيَعْلَمُ الْكُفّٰرُ لِمَنْ عُقْبَى الدَّارِ ﴿٤٢﴾ وَيَقُولُ الَّذِينَ كَفَرُوا لَسْتَ مُرْسَلًا ۚ قُلْ كَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيدًا بَيْنِي وَبَيْنَكُمْ ۙ وَمَنْ عِنْدَهٗ عِلْمُ الْكِتٰبِ ﴿٤٣﴾ ع

---

پتے آسہِ تِمن عذاب وَقَدْ مَكَرَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ پٕرٕ پاٹھ تِم کافر تِمن برونٹھ آسِ تِموتہٕ چھہِ کم کم تدبیر برونٹھین پیغمبرن ہندِس مخالفس منز کٔرمتِہ۔ یتھہِ پاٹھ ازکِ کافرٕ چھہِ تِہندِس مخالفس منز کم کم تدبیر کران یمس تُہِ مہٕ بٔرٕوِ تمیُک کانہہ پروا فَلِلّٰهِ الْمَكْرُ جَمِيْعًا اللہ تعالیٰ سی نِشہِ چھہِ ساری تدبیر کیازِہ يَعْلَمُ مَا تَكْسِبُ كُلُّ نَفْسٍ تَس چھُو معلوم کُس شخص کیاہ چھُو کران وَسَيَعْلَمُ الْكُفّٰرُ لِمَنْ عُقْبَى الدَّارِ عنقریب زانن کافرٕ رُت انجام کٔہندہ خیطرہ چھُو مُسلمانن ہندِہ خیطرہ کِنہِ کافرِن ہندِہ خیطرہ وَيَقُولُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَسْتَ مُرْسَلًا بیہ چھہِ وَنان کافر کہِ تُہہ چھُوہ نہ پیغمبر قُلْ كَفٰى بِاللّٰهِ شَهِيْدًا بَيْنِيْ وَبَيْنَكُمْ تُہہ فرمٲیُو کھ تُہندِہ اِنکار کرنہ سیتِ کیاہ چھُو۔ یہِ چھُو بے اعتبار بَس چھُو اللہ تعالیٰ گواہ مہِ منزتہ توہہِ منز میانِس پیغمبر آسنس پیٹھ وَمَنْ عِنْدَهٗ عِلْمُ الْكِتٰبِ بیہِ چھُو گواہ میانِس پیغمبر آسنس پیٹھ سُو شخص یُس نِشہِ تورات وانجیلُک علم چھُو۔ مثلِ عبداللہ بن سلام وغیرہ۔





بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

الٓرٰ كِتٰبٌ اَنْزَلْنٰهُ اِلَيْكَ لِتُخْرِجَ النَّاسَ مِنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوْرِ ۙ بِاِذْنِ رَبِّهِمْ اِلٰى صِرَاطِ الْعَزِيْزِ الْحَمِيْدِ ① اللّٰهِ الَّذِيْ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ؕ وَوَيْلٌ لِّلْكٰفِرِيْنَ مِنْ عَذَابٍ شَدِيْدِ ② الَّذِيْنَ يَسْتَحِبُّوْنَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا عَلَى الْاٰخِرَةِ وَيَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ وَيَبْغُوْنَهَا عِوَجًا ؕ اُولٰٓئِكَ فِيْ ضَلٰلٍ بَعِيْدٍ ③ وَمَآ

---

الٓرٰ یِم چھِ حروفِ مقطعات خدایہ سی چھُو معلُوم تِمن حرفن ہُند معنی کِتٰبٌ اَنْزَلْنٰهُ اِلَيْكَ یہ قرآن مجید چھُو کتاباہ یُوسہ اسہِ توہہِ کُن نازِل کٔریا رسُول اللہ لِتُخْرِجَ النَّاسَ مِنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوْرِ یتھ تہِ امیُک مضمُون بیان کٔرِتھ لُوکھ کڈیُوکھ کُفر چُوگٹو منزہ ایمان و توحید کِس نُورس کُن بِاِذْنِ رَبِّهِمْ تہندِس پروردگارہ سندِہ حُکمہ سیتِ اِلٰى صِرَاطِ الْعَزِيْزِ الْحَمِيْدِ تَس غالِب تہٕ تعریف کرنہ آمتِس خدایہِ سنزِہ وَتہِ کُن اللّٰهِ الَّذِيْ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ یُس معبُود بر حق چھُو۔ یُسند تہِ سورُوی چھُو یہ آسمانن تہٕ زمینن منز چھُویلہِ یہ کِتاب خدایس کُن وتھ ہاوان چھِہ وَوَيْلٌ لِّلْكٰفِرِيْنَ مِنْ عَذَابٍ شَدِيْدِ ویل تہٕ افسوس تِمن کافرن عذابِ شدیدُک تِم نہ یہِ وتھ اختیار کرنِ الَّذِيْنَ يَسْتَحِبُّوْنَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا عَلَى الْاٰخِرَةِ بلکہ تِم پسند چھِہ تھاوان دنیاء چ زندگی آخرِ تَس پیٹھ۔ وَيَصُدُّوْنَ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بیہ تِم پتھ چھِہ رٹان لُوکن راہ راستس خدایہِ سنزِہ وَتہِ پیٹھ پکنہ نِشہِ وَيَبْغُوْنَهَا عِوَجًا بیہ چھِہ ژھانڈان تہٕ تلاش کران سیزِہ وَتہِ منز ہٕجرَ لُوکن اندر چھِہ شُبہات تراوِن اُولٰٓئِكَ فِيْ ضَلٰلٍ بَعِيْدٍ تِمے لُوکھ چھِہ زِ تِچھِہ گمراہی اندر مُبتلا یعنی یوسہ گمراہی پزہِ نِشہِ سیٹھاہ دُور چھِہ۔ یعنی کافرن چھُو شبہ کہِ یہ قرآن مجید کیازِہ چھُو عربی پاٹھِ

أَرْسَلْنَا مِنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا بِلِسَانِ قَوْمِهٖ لِيُبَيِّنَ لَهُمْ ؕ فَيُضِلُّ اللّٰهُ مَنْ يَّشَآءُ وَيَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ ؕ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿۴﴾ وَلَقَدْ أَرْسَلْنَا مُوْسٰى بِاٰيٰتِنَآ اَنْ اَخْرِجْ قَوْمَكَ مِنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوْرِ ۙ وَذَكِّرْهُمْ بِاَيّٰىمِ اللّٰهِ ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّكُلِّ صَبَّارٍ شَكُوْرٍ ﴿۵﴾ وَاِذْ قَالَ مُوْسٰى لِقَوْمِهِ اذْكُرُوْا نِعْمَةَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ اِذْ اَنْجٰىكُمْ مِّنْ اٰلِ فِرْعَوْنَ يَسُوْمُوْنَكُمْ سُوْٓءَ الْعَذَابِ

تمکوی جواب ڇھو الله تعالیٰ فرماوان وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا بِلِسَانِ قَوْمِهٖ لِيُبَيِّنَ لَهُمْ بیه سوز نه اسه کانهه پیغمبراه مگر تمی زیوهِ کلام تهِ بیان کرهڈن یوسه تهندهِ قوم زیو آس یتھ سوواره تمن بیان کرهِ خدایهِ سندِ احکام فَيُضِلُّ اللّٰهُ مَنْ يَّشَآءُ وَيَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ ننهِ کرِ تھ تهِ یس الله تعالیٰ یژهان ڇھو تس ڇھو گمراه کران۔ سو ڇھو نه تمِ احکام مانان یس یژهان ڇھو تس ڇھو وَتھ هاوان راه راستس کُن۔ سو ڇھو تمِ احکام قبول کران تهِ مانان وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ سوی ڇھو غالِب تهِ حکمته وول وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا مُوْسٰى بِاٰيٰتِنَآ بیه سوز اسهِ موسیٰ علیہِ السلام پنن آیات هیتھ۔ اَنْ اَخْرِجْ قَوْمَكَ مِنَ الظُّلُمٰتِ اِلَى النُّوْرِ حُکم کورس اسهِ کهِ کڈن پنن قوم کُفرهِ چو گٹو منزه ایمانه کس نورس کُن وَذَكِّرْهُمْ بِاَيّٰىمِ اللّٰهِ بیه پاوکھ ژیتس نعمژن تهِ مهربانین هندِ دوه بیه تکلیفن تهِ مصیبتن هندِ دوه اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّكُلِّ صَبَّارٍ شَكُوْرٍ پتہِ پاٹھِ تتھ ژیتس پاونس منز چھهِ بڈِ نشانه پریتھ صبر کره ونهِ تهِ شکر کره ونِ سندِ خیطره وَاِذْ قَالَ مُوْسٰى لِقَوْمِهِ اذْكُرُوْا نِعْمَةَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ اِذْ اَنْجٰىكُمْ مِّنْ اٰلِ فِرْعَوْنَ بیه پاوِژ تمیں یلهِ موسیٰ علیہِ السلا من ڈوپ پنه نس قومس ای قوم یادکرِ و خدایهِ سنز نعمت یوسه توههِ عطا کرنوه یلهِ نانجات دیُت نوه فرعونه سندِ ه قومه نشهِ يَسُوْمُوْنَكُمْ سُوْٓءَ الْعَذَابِ یمِ توههِ واتناوان آسِ کُڈر عذاب وَ يُذَبِّحُوْنَ اَبْنَآءَكُمْ ماران آسِ تهندین نیچوین وَيَسْتَحْيُوْنَ نِسَآءَكُمْ بیه آسِ زِنده تھاوان تهنزن کورین۔ یمهِ بڈِ تھ زنانهِ نهِ هن وَفِيْ ذٰلِكُمْ بَلَآءٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ عَظِيْمٌ اتھ منز آس تُهندهِ خیطره بڈ آزمایش تهندِ س پروردگاره سندِ ه طرفه وَاِذْ

وَيُذَبِّحُوْنَ اَبْنَآءَكُمْ وَيَسْتَحْيُوْنَ نِسَآءَكُمْ ۭ وَفِيْ ذٰلِكُمْ بَلَآءٌ مِّنْ رَّبِّكُمْ عَظِيْمٌ ۝٦ وَاِذْ تَاَذَّنَ رَبُّكُمْ لَئِنْ شَكَرْتُمْ لَاَزِيْدَنَّكُمْ وَلَئِنْ كَفَرْتُمْ اِنَّ عَذَابِيْ لَشَدِيْدٌ ۝٧ وَقَالَ مُوْسٰٓى اِنْ تَكْفُرُوْٓا اَنْتُمْ وَمَنْ فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا ۙ فَاِنَّ اللّٰهَ لَغَنِيٌّ حَمِيْدٌ ۝٨ اَلَمْ يَاْتِكُمْ نَبَؤُا الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ قَوْمِ نُوْحٍ وَّعَادٍ وَّثَمُوْدَ ڝ وَالَّذِيْنَ مِنْ بَعْدِهِمْ ڝ لَا يَعْلَمُهُمْ اِلَّا اللّٰهُ ۭ جَآءَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ فَرَدُّوْٓا

---

تَاَذَّنَ رَبُّكُمْ لَئِنْ شَكَرْتُمْ لَاَزِيْدَنَّكُمْ بیہ کرِو یاد ای بنی اسرائیلو یلہِ عام اعلان کور تُہندِ پروردگارن اگر تُہہ شکرگذاری کرِو تلہِ ہُر رواوِوہ بُو نعمت وَلَئِنْ كَفَرْتُمْ اِنَّ عَذَابِيْ لَشَدِيْدٌ ہرگاہ کفرانِ نعمت کرِو تلہِ چھومُیون عذاب سیٹھاہ سخت۔ سو سخت عذاب گو نعمت اتھہ ہِن۔ وَقَالَ مُوْسٰى اِنْ تَكْفُرُوْٓا اَنْتُمْ وَمَنْ فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا بیہ فرمووُ موسیٰ علیہ السلام پننہِ نِس قومَس، ہرگاہ تُہہ کُفر کرِو یا کُفرانِ نعمت کرِو تُہہ تہٕ بیہ یِم ساری زمینَس منز چھِ جتہٕ انسانو آندرہ کانہہ پرواہ چھُونہ تمیُک فَاِنَّ اللّٰهَ لَغَنِيٌّ حَمِيْدٌ کیازِ اللہ تعالیٰ چھُو بالکل بے نیاز تمام مخلوقن نِشہِ۔ سُو چھُو سزاوارِ حمد و ثنا حمد پتِس کانہہ یامتہ دِتس اَلَمْ يَاْتِكُمْ نَبَؤُا الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكُمْ ای کافرو کیاہ توہہِ چھنا واژمژ خبر تمِن لوکن ہنز یِم توہہِ برونٹھ آسِ قَوْمِ نُوْحٍ وَّعَادٍ وَّثَمُوْدَ وَالَّذِيْنَ مِنْ بَعْدِهِمْ مثلاً نُوح علیہِ السلامہ سندہ قوچ، یا قوم عاد، ہُود علیہِ السلامہ سندہ قوچ یا قوم ثمود، صالح علیہ السلام سندہ قوچ خبر۔ بیہ تمِن لوکن ہنز یِم تمِن پتہ آیِ لَا يَعْلَمُهُمْ اِلَّا اللّٰهُ تم آسِ بے شمار۔ تیت یِزہ تہندہ گرینْد زانِنہ نہ بہ تفصیل کانہہ تہٕ خدائیس وراِی جَآءَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ تمِن نِشہِ وات پیغمبر تہنزہ ننہِ دلیلہ ہیتھ، خدایہ سنزہ کتابہ ہیتھ فَرَدُّوْٓا اَيْدِيَهُمْ فِيْٓ اَفْوَاهِهِمْ پس واتناوِ تمو اتھہ پننِ تہندین آسن

أَيْدِيَهُمْ فِي أَفْوَاهِهِمْ وَقَالُوا إِنَّا كَفَرْنَا بِمَا أُرْسِلْتُمْ بِهِ
وَإِنَّا لَفِي شَكٍّ مِمَّا تَدْعُونَنَا إِلَيْهِ مُرِيبٍ ﴿٩﴾ قَالَتْ رُسُلُهُمْ
أَفِي اللَّهِ شَكٌّ فَاطِرِ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ ۖ يَدْعُوكُمْ
لِيَغْفِرَ لَكُمْ مِنْ ذُنُوبِكُمْ وَيُؤَخِّرَكُمْ إِلَىٰ أَجَلٍ مُسَمًّى ۚ
قَالُوا إِنْ أَنْتُمْ إِلَّا بَشَرٌ مِثْلُنَا تُرِيدُونَ أَنْ تَصُدُّونَا
عَمَّا كَانَ يَعْبُدُ آبَاؤُنَا فَأْتُونَا بِسُلْطَانٍ مُبِينٍ ﴿١٠﴾
قَالَتْ لَهُمْ رُسُلُهُمْ إِنْ نَحْنُ إِلَّا بَشَرٌ مِثْلُكُمْ وَلَٰكِنَّ اللَّهَ يَمُنُّ

---

اندر یعنی تمِ کرہ ناوِ کھ ژھوپہ۔ وننہ دُیت ہُکھ نہ کینہہ وَقَالُوا إِنَّا كَفَرْنَا بِمَا أُرْسِلْتُمْ بِهِ دپنہِ لگِ اسِ چھہِ اِنکار کران تتھ سارِسی یہ ہیتھ تُہہ سوزنہ آمتِ چھوِہ یعنی توحید وایمان وَإِنَّا لَفِي شَكٍّ مِمَّا تَدْعُونَنَا إِلَيْهِ مُرِيبٍ بیہِ چھُو اسہِ شک تمہِ دِینک یتھ کُن اسہِ تُہہ نادِ دوان چھوِہ یُس شک تردُّد پیدہ کرہ وُن چھُو قَالَتْ رُسُلُهُمْ أَفِي اللَّهِ شَكٌّ تہندیو پیغمبر وِوون تمن کیاہ معبودِ برحقس منز تہِ چھا شکھی تہِ بنہ نہ ہرگزِ کیازِہ تہندِہ توحیدچہ دلیلہ چھہ ظاہر تہ ننہِ فَاطِرِ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ پس یُس پیدہ کرہ وُن چھُو آسمانن تہ زمینن ہُند يَدْعُوكُمْ لِيَغْفِرَ لَكُمْ مِنْ ذُنُوبِكُمْ سُوی چھُو توہِہ نادِ دوان ایمانس کُن تہ اسلامس کُن یُتھ توہِہ برونٹھمین گُنہن مغفرت گرِہ وَيُؤَخِّرَكُمْ إِلَىٰ أَجَلٍ مُسَمًّى بیہِ یُتھ مُہلت دِیہِ توہِہ عُمرہ ہندِس اُکِس مُقرر کرنہ آمتِس وقتس تانِ قَالُوا إِنْ أَنْتُمْ إِلَّا بَشَرٌ مِثْلُنَا تمِ لگِ دپنہِ تُہہ چھوِہ نہ مگر اَسی ہِوِ انسان۔ توہِہ اندر کیاہ زیادتی چھہ یمہ سیتِ اِس تہندِ وُن مانو تُرِيدُونَ أَنْ تَصُدُّونَا عَمَّا كَانَ يَعْبُدُ آبَاؤُنَا بظاہرِ چھوِہ تُہہ یژھان اسہِ پتھ رُٹن تمن معبودن ہنزِہ عبادتہِ نِشہِ یمن ہنز عبادت سانِ مالِ بُڈِبب کران آسِ۔ ہرگاہ فی الحقیقت تُہہ پُوزِ وَنان چھوِہ فَأْتُونَا بِسُلْطَانٍ مُبِينٍ تلہِ اَنِو اسہِ نِشہِ کانہہ نِ دلیلاہ قَالَتْ لَهُمْ رُسُلُهُمْ إِنْ نَحْنُ إِلَّا بَشَرٌ مِثْلُكُمْ تموِ پنہِ نیو پیغمبر وِوون ہُکھ

عَلٰى مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ ؕ وَمَا كَانَ لَنَآ اَنْ نَّاْتِيَكُمْ بِسُلْطٰنٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ ؕ وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُوْنَ ﴿۱۱﴾ وَمَا لَنَآ اَلَّا نَتَوَكَّلَ عَلَى اللّٰهِ وَقَدْ هَدٰىنَا سُبُلَنَا ؕ وَلَنَصْبِرَنَّ عَلٰى مَآ اٰذَيْتُمُوْنَا ؕ وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُتَوَكِّلُوْنَ ﴿۱۲﴾ وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِرُسُلِهِمْ لَنُخْرِجَنَّكُمْ مِّنْ اَرْضِنَآ اَوْ لَتَعُوْدُنَّ فِيْ مِلَّتِنَا ؕ فَاَوْحٰٓى اِلَيْهِمْ رَبُّهُمْ لَنُهْلِكَنَّ الظّٰلِمِيْنَ ﴿۱۳﴾ وَلَنُسْكِنَنَّكُمُ الْاَرْضَ مِنْ بَعْدِهِمْ ؕ ذٰلِكَ لِمَنْ خَافَ مَقَامِيْ وَخَافَ وَعِيْدِ ﴿۱۴﴾ وَاسْتَفْتَحُوْا

---

بے شک اس ڇھنہ مگر توہی ہوانسان وَلٰكِنَّ اللّٰهَ يَمُنُّ عَلٰى مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ ليڪن الله تعالیٰ ڇھو پنھن فضل تہ مهرباني ڪران پنہ نيو بندوانِ اندرہ ڪيس پيٺھ يڙھان ڇھو وَمَا كَانَ لَنَآ اَنْ نَّاْتِيَكُمْ بِسُلْطٰنٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ سانس اختيارس منز ڇھنہ يہ کتھ کہِ اَسِ کياہ اَنو توہہِ نشہِ پانے کانہہ دليلاہ ننِ خدايہ سندہ حُکمہ وراےِ ۔ وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُؤْمِنُوْنَ باايمانن پزہ خدايہ سی پيٺھ توکل کرُن وَمَا لَنَآ اَلَّا نَتَوَكَّلَ عَلَى اللّٰهِ وَقَدْ هَدٰىنَا سُبُلَنَا اَسہِ کُہہ چيز ہيکہِ پتھ رٹتھ خدايس پيٺھ توکل کرنہ نشہِ ۔ حالانکہِ اسہِ ہاوہ تمیٔ سارے رٔژہ وَتہ ۔ يمن منز دنياو آخر تگ نفع ڇھُو ۔ ہر گاہ توہہِ سون وُنن ناپسند ييتھ اَسہِ توہ تکليفی دِيو کانہہ غم ڇھونہ وَلَنَصْبِرَنَّ عَلٰى مَآ اٰذَيْتُمُوْنَا اَسِ کرَو ضرور صبر تھندين سارني تکليفن پيٺھ وَعَلَى اللّٰهِ فَلْيَتَوَكَّلِ الْمُتَوَكِّلُوْنَ توکل کرن والين پزہ خدايہ سی پيٺھ توکل کرن وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِرُسُلِهِمْ لَنُخْرِجَنَّكُمْ مِّنْ اَرْضِنَآ اَوْ لَتَعُوْدُنَّ فِيْ مِلَّتِنَا بيہِ دُوپ کافرَو پنہ نين پيغمبرن اَسِ کڈووہ تُہہ ضرور پنہ نيو شہرو منزہ نتہ ڦيرو واپس سانس دِينس کُن ۔ فَاَوْحٰٓى اِلَيْهِمْ رَبُّهُمْ لَنُهْلِكَنَّ الظّٰلِمِيْنَ ۞ وَلَنُسْكِنَنَّكُمُ الْاَرْضَ مِنْ بَعْدِهِمْ پس سُوز الله تعالیٰ ان وحی تمن پيغمبرن کُن کہِ پروامہ برَوِ کينہہ بُو ڇھُوس قسم ہاوِتھ فرماوان کہ بوگالکھ يم ظالمِ ۔ تھندِہ گالنہ پتہ بساووہ تُہی تھندين شہرن اندر

وَخَابَ كُلُّ جَبَّارٍ عَنِيدٍ ﴿١٥﴾ مِّن وَرَآئِهِۦ جَهَنَّمُ وَيُسْقَىٰ مِن مَّآءٍ
صَدِيدٍ ﴿١٦﴾ يَتَجَرَّعُهُۥ وَلَا يَكَادُ يُسِيغُهُۥ وَيَأْتِيهِ ٱلْمَوْتُ مِن كُلِّ
مَكَانٍ وَمَا هُوَ بِمَيِّتٍ ۖ وَمِن وَرَآئِهِۦ عَذَابٌ غَلِيظٌ ﴿١٧﴾ مَّثَلُ ٱلَّذِينَ
كَفَرُوا۟ بِرَبِّهِمْ ۖ أَعْمَٰلُهُمْ كَرَمَادٍ ٱشْتَدَّتْ بِهِ ٱلرِّيحُ فِى يَوْمٍ عَاصِفٍ ۖ
لَّا يَقْدِرُونَ مِمَّا كَسَبُوا۟ عَلَىٰ شَىْءٍ ۚ ذَٰلِكَ هُوَ ٱلضَّلَٰلُ ٱلْبَعِيدُ ﴿١٨﴾
أَلَمْ تَرَ أَنَّ ٱللَّهَ خَلَقَ ٱلسَّمَٰوَٰتِ وَٱلْأَرْضَ بِٱلْحَقِّ ۚ إِن يَشَأْ يُذْهِبْكُمْ

---

ذٰلِكَ لِمَنْ خَافَ مَقَامِيْ وَخَافَ وَعِيْدِ یہِ مہربانی چھےٚ تمن لُوکن ہندِ خیطرٕ یم کھوٚژن مےٚ برونٹھ کنہِ جواب دِہی خیطرٕ وودنہِ روزنس۔ بیہِ کھوٚژِ میانہِ عذابکس وعیدس وَاسْتَفْتَحُوْا وَخَابَ كُلُّ جَبَّارٍ عَنِيْدٍ توٚپتہٕ منٛجِ فتح پیغمبرو۔ اللہ تعالیٰ ان کٔر تمن فتح عطا۔ توٚپتہٕ گو تہند پریتھ کانٛہہ سرکش دشمن نا امید تہٕ خوار مِنْ وَّرَآئِهٖ جَهَنَّمُ تَس جبار عنیدٕ سندِ خیطر چھُو دُنیوی عذابہٕ علاوہ برونٹھ نارِ جہنم یتھ منز تمِ واتن۔ وَيُسْقٰى مِنْ مَّآءٍ صَدِيْدٍ بیہِ ییہِ چاونہ سُو تتھ جہنمس منز سُو آب یتھ سیتِ جہنمین ہُند پیل تہٕ پاک آسہِ يَّتَجَرَّعُهٗ وَلَا يَكَادُ يُسِيْغُهٗ دامہ دامہ آسہِ سُو چوان سخت ٹیوٹھ آسنہ مۆکھہ۔ سُو آسہِ نہ تتھ نیگلتھی ہیکان۔ پھکہ لدتہٕ بدمزٕ آسنہ مۆکھ وَيَأْتِيْهِ الْمَوْتُ مِنْ كُلِّ مَكَانٍ بیہِ آسہِ تَس موتٕچ سختی محسُوس سپدان بدنہ منزٕ پریتھ جایہِ۔ والہ گڈو منزٕ تان وَّمَا هُوَ بِمَيِّتٍ مگر مران آسہِ نہ وَمِنْ وَّرَآئِهٖ عَذَابٌ غَلِيْظٌ تمہِ پتہٕ تہِ آسیس امہِ خوتہٕ سخت عذاب مَثَلُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِرَبِّهِمْ مِثال تمن لُوکن ہنز یمو اِنکار کور تہٕ کُفر کور پنہٕ نِس پروردگارس اَعْمَالُهُمْ كَرَمَادِ ِۨاشْتَدَّتْ بِهِ الرِّيْحُ فِيْ يَوْمٍ عَاصِفٍ تہنزٕ رژٕ عملہ چھےٚ تتھ سُورٕ ڈیرس ہِشہِ یتھ واوٕ چھکراوِہ سخت واوکہِ دوہہِ۔ لَا يَقْدِرُوْنَ مِمَّا كَسَبُوْا عَلٰى شَيْءٍ تمِ ہیکہ نی نہ تمن محلن ہُند کانٛہہ فائیدٕ حاصِل کٔرِتھ ذٰلِكَ هُوَ الضَّلٰلُ الْبَعِيْدُ یہے گئیہ دور و دراز گُمراہی یُس رشدُو ہدایہِ نِشہِ سیٹھاہ دُور چھےٚ۔ اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ ژٕ چھُو کھناو چھان ای وچھِ ونہِ کہ پزٕ پاٹھِ اللہ تعالیٰ ان کٔر آسمان تہٕ تہٕ زمین تہِ پیدٕ۔ پزٕ پاٹھِ

وَيَاْتِ بِخَلْقٍ جَدِيْدٍ ﴿١٩﴾ وَّمَا ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ بِعَزِيْزٍ ﴿٢٠﴾
وَبَرَزُوْا لِلّٰهِ جَمِيْعًا فَقَالَ الضُّعَفٰٓؤُا لِلَّذِيْنَ اسْتَكْبَرُوْٓا اِنَّا
كُنَّا لَكُمْ تَبَعًا فَهَلْ اَنْتُمْ مُّغْنُوْنَ عَنَّا مِنْ عَذَابِ اللّٰهِ مِنْ
شَيْءٍ ۭ قَالُوْا لَوْ هَدٰىنَا اللّٰهُ لَهَدَيْنٰكُمْ ۭ سَوَاۗءٌ عَلَيْنَآ اَجَزِعْنَآ اَمْ
صَبَرْنَا مَا لَنَا مِنْ مَّحِيْصٍ ﴿٢١﴾ وَقَالَ الشَّيْطٰنُ لَمَّا قُضِيَ الْاَمْرُ
اِنَّ اللّٰهَ وَعَدَكُمْ وَعْدَ الْحَقِّ وَوَعَدْتُّكُمْ فَاَخْلَفْتُكُمْ ۭ وَمَا كَانَ

---

يمه سيتِ تهند قادر مطلق آهُن ثابت سڀ ان ڇو اِنْ يَّشَاْ يُذْهِبْكُمْ وَيَاْتِ بِخَلْقٍ جَدِيْدٍ هرگاه سو
ڀڙهِ توهه ساري گرهِ فنا. توپته کره پيده توهه بدل بين مخلوقن وَّمَا ذٰلِكَ عَلَى اللّٰهِ بِعَزِيْزٍ يه ڪته
ڇهنه تس نِشهِ ڪينهه دشوار وَبَرَزُوْا لِلّٰهِ جَمِيْعًا بيه نيرن قيامتک دوه قبر منزه ساري مخلوق خدائس
برونٹھ گنهِ جمع سپدنه خيطره. فَقَالَ الضُّعَفٰٓؤُا لِلَّذِيْنَ اسْتَكْبَرُوْٓا پتس ونن ڪمزور. ته تابع لوکھ زورا
وارن ته زٹھين اِنَّا كُنَّا لَكُمْ تَبَعًا بيشڪ اَسِ آسِ نا دُنياءس اندر توهه تابع فَهَلْ اَنْتُمْ مُّغْنُوْنَ عَنَّا
مِنْ عَذَابِ اللّٰهِ مِنْ شَيْءٍ پتس هيڪوه تُهه از خدايه سنده عذابه نِشهِ ڪانهه حِصاه اَسه نِشهِ دُور ڪرِ ته قَالُوْا
لَوْ هَدٰىنَا اللّٰهُ لَهَدَيْنٰكُمْ تمِ زِٹھ دپنکھ هرگهے اَسه رژو تهاوَمژ آسهاالله تعالیٰ اَن ضرور راوه هووه اسِ
توهه تهِ سوئ وَ ته سَوَاۗءٌ عَلَيْنَآ اَجَزِعْنَآ اَمْ صَبَرْنَا مَا لَنَا مِنْ مَّحِيْصٍ برابر ڇھووَنِ اَسه جزع وفزع
کرواَسِ يا صبر گرواَسِ بهرحال ڇهنه اَسه مُو ڪلينچ ڪانهه صورتهاه يمه عذابه نِشهِ وَقَالَ الشَّيْطٰنُ بيه
ونيکھ شيطان لَمَّا قُضِيَ الْاَمْرُ تمهِ وقته يمهِ حُڪمِ خدا جاري سپده جنتين هندِه خيطره جنتس منزواتنک
جهنمين هندِه خيطره جهنمس منزواتنک. توپته لگن ساري جهنمي ابليس ملامت ڪرنهِ. سُو دپيکھ اِنَّ اللّٰهَ
وَعَدَكُمْ وَعْدَ الْحَقِّ وَوَعَدْتُّكُمْ فَاَخْلَفْتُكُمْ پتز پاٹھ الله تعالیٰ اَن فرماويوه توهه وعده. سُوئ پُوز
وعده بيه ڪرِ ومهِ ته تُهه سيتِ وعده مگر سُو دراوَ اپز وعده وَمَا كَانَ لِيَ عَلَيْكُمْ مِّنْ سُلْطٰنٍ بيه آسه نه مه
نِشهِ توهه پيٹھ ڪانهه دليلاه ته جُتهاه يا طاقتاه ته غلباه يمهِ سيتِ بُو تُهه مجبور ڪرهووه اِلَّآ اَنْ دَعَوْتُكُمْ

لِيَ عَلَيْكُمْ مِّنْ سُلْطٰنٍ اِلَّآ اَنْ دَعَوْتُكُمْ فَاسْتَجَبْتُمْ لِيْ ۚ فَلَا تَلُوْمُوْنِيْ وَلُوْمُوْٓا اَنْفُسَكُمْ ۗ مَآ اَنَا بِمُصْرِخِكُمْ وَمَآ اَنْتُمْ بِمُصْرِخِيَّ ۗ اِنِّيْ كَفَرْتُ بِمَآ اَشْرَكْتُمُوْنِ مِنْ قَبْلُ ۗ اِنَّ الظّٰلِمِيْنَ لَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿٢٢﴾ وَاُدْخِلَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا بِاِذْنِ رَبِّهِمْ ۗ تَحِيَّتُهُمْ فِيْهَا سَلٰمٌ ﴿٢٣﴾ اَلَمْ تَرَ كَيْفَ ضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا كَلِمَةً طَيِّبَةً كَشَجَرَةٍ طَيِّبَةٍ اَصْلُهَا ثَابِتٌ وَّفَرْعُهَا فِي السَّمَآءِ ﴿٢٤﴾

---

فَاسْتَجَبْتُمْ لِيْ صِرف سڏ ڏنو ته مون ڏيت توهان گهرس ڳن ناد. توهان ڪرو ته سوچڻ وراي اجابت تسليم فَلَا تَلُوْمُوْنِيْ وَلُوْمُوْٓا اَنْفُسَكُمْ پس مون کي توهين ملامت بلکه ڪري ملامت پنهنجي پاڻ مَآ اَنَا بِمُصْرِخِكُمْ وَمَآ اَنْتُمْ بِمُصْرِخِيَّ وڏن هيڪو وه نه بو ٿُهه عذاب نشهِ موڪلاو ته ڪيازه توهه ڪرو مياڻس ونه نس پيٺه عمل خدايه سند فرمان مونوه نه. نه هيڪو ٿُهه مه عذابه نشهِ موڪلاو ته. اِنِّيْ كَفَرْتُ بِمَآ اَشْرَكْتُمُوْنِ مِنْ قَبْلُ تُوچهوس انڪار ڪران ته اظهار بيزاري ڪران ٿهندس مه شريڪ خدامانه نس پيٺه ازڪه بروٺه دنياءس اندر اِنَّ الظّٰلِمِيْنَ لَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ يتهه ڪٿه اندر ڇهونه ڪاهه شڪ ڪه مشرڪن هندي خيطره ڇهوڪڏر عذاب وَاُدْخِلَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ بيه ين واتاونه تم لوکه تيموايمان اون بيه ڪريکه رڙه عمله تمن جنتن اندر تيمو منزجويه پکان آسن خٰلِدِيْنَ فِيْهَا بِاِذْنِ رَبِّهِمْ هميشه روزن تمن جنتن اندر خدايه سنده حڪمه سيتِ تَحِيَّتُهُمْ فِيْهَا سَلٰمٌ دعاٿهند آسه جنتن اندر بلفظ سلام. دنياءس منزچهه سلام سلامتي هند دعا جنتن اندر آسه سلام سلامتي هند مبارکباد. تمن جلتين بيه يتهه پاڻهِ سلام ڪرنه. السّلامُ عليڪم اَلَمْ تَرَ كَيْفَ ضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا كَلِمَةً طَيِّبَةً كَشَجَرَةٍ طَيِّبَةٍ اَصْلُهَا ثَابِتٌ وَّفَرْعُهَا فِي السَّمَآءِ ڪياه توهه ڇهنا معلوم ڪه الله

تُؤْتِیْٓ اُكُلَهَا كُلَّ حِیْنٍۭ بِاِذْنِ رَبِّهَا ؕ وَ یَضْرِبُ اللّٰهُ الْاَمْثَالَ
لِلنَّاسِ لَعَلَّهُمْ یَتَذَكَّرُوْنَ ﴿۲۵﴾ وَ مَثَلُ كَلِمَةٍ خَبِیْثَةٍ كَشَجَرَةٍ
خَبِیْثَةِ ِۨاجْتُثَّتْ مِنْ فَوْقِ الْاَرْضِ مَا لَهَا مِنْ قَرَارٍ ﴿۲۶﴾
یُثَبِّتُ اللّٰهُ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا بِالْقَوْلِ الثَّابِتِ فِی الْحَیٰوةِ الدُّنْیَا
وَ فِی الْاٰخِرَةِ ۚ وَ یُضِلُّ اللّٰهُ الظّٰلِمِیْنَ ۙۗ وَ یَفْعَلُ اللّٰهُ مَا یَشَآءُ ﴿۲۷﴾
اَلَمْ تَرَ اِلَی الَّذِیْنَ بَدَّلُوْا نِعْمَتَ اللّٰهِ كُفْرًا وَّ اَحَلُّوْا قَوْمَهُمْ

---

تعالیٰ اَن کرِتھ رژتہ موقع مثال کٔر بیان کلمہ طیّبچ یعنی کلمۂ توحیدچ۔ فرموون کہِ سُو چھُو اکس رتس تہ پاکیزہ کُلس ہیُو۔ تمہِ اندرہ چھُو مراد خضر کُل۔ میُٔک مُول چھُو محکم زمینس منز۔ یمک شاخ چھہِ آسمانن اندر تُؤْتِیْٓ اُكُلَهَا كُلَّ حِیْنٍۭ بِاِذْنِ رَبِّهَا یُس پٔن میوہ چھُو دوان پریتھ فصلس اندر خدایہ سندِہ حُکمہ سیت۔ یتھے پاٹھِ چھُو کلمۂ توحید لاالہ الا اللہ امیُک مُول یعنی اعتقاد یُس بایمانہ سندِس دِلس اندر مضبوط تہ محکم چھُو۔ امہِ کُلکِ شاخ گیٔ رژہ عملہ یمہِ اتھ ایمانس پیٹھ مرتب چھہ سپدان۔ یمہِ قبولیتچہ درگاہہِ اندر آسمانن کُن واتان چھہ۔ توپتہ چھُو تتھ پیٹھ رضای الٰہیُک دایمی میوہ لگان وَ یَضْرِبُ اللّٰهُ الْاَمْثَالَ لِلنَّاسِ لَعَلَّهُمْ یَتَذَكَّرُوْنَ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ امہِ قسمچہ مِثالہ بیان کران لُوکن ہندِہ خیطرہ یتھ تمِ معانی مقصُودہ وارہ بوزن وَ مَثَلُ كَلِمَةٍ خَبِیْثَةٍ كَشَجَرَةٍ خَبِیْثَةِ ِۨاجْتُثَّتْ مِنْ فَوْقِ الْاَرْضِ مَا لَهَا مِنْ قَرَارٍ تیچھہ تہ گندہ کلچ مِثال چھہ۔ تیچھہ کلچ مِثال۔ یعنی شرکچہ کلچ مِثال چھہ تمہِ تیچھہ کلچ مِثال یتھ نہ زمینس منز مُول لگتھ آسہِ۔ سُو آسہِ زمینہ منزہ پیٹھ پیٹھی مُولہ نیران۔ سوکھہ تہ قرار آسہِ نہ تتھ کُلس کُنہِ جایہِ۔ سُو گوٹہ وانگُن یُثَبِّتُ اللّٰهُ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا بِالْقَوْلِ الثَّابِتِ فِی الْحَیٰوةِ الدُّنْیَا وَ فِی الْاٰخِرَةِ مضبوط چھُ اللہ تعالیٰ کران بایمانن تمہِ مضبوط کلمہ سیتِ (یعنی کلمۂ توحیدہ سیتِ) دنیاچہِ زندگی منزتہِ آخرِتچہِ زندگی منزتہِ وَ یُضِلُّ اللّٰهُ الظّٰلِمِیْنَ گُمراہ چھُو کران ظالمن یعنی کافرن تمہِ منحُوس تہ گندہ کلمہ سیتِ وَ یَفْعَلُ اللّٰهُ مَا یَشَآءُ بیہ چھُو سُوتی کران یہ یژھان چھُو اَلَمْ تَرَ اِلَی الَّذِیْنَ بَدَّلُوْا نِعْمَتَ اللّٰهِ

دَارَ الْبَوَارِ ﴿٢٨﴾ جَهَنَّمَ ۚ يَصْلَوْنَهَا ۖ وَبِئْسَ الْقَرَارُ ﴿٢٩﴾ وَجَعَلُوا لِلَّهِ
أَندَادًا لِّيُضِلُّوا عَن سَبِيلِهِ ۗ قُلْ تَمَتَّعُوا فَإِنَّ مَصِيرَكُمْ
إِلَى النَّارِ ﴿٣٠﴾ قُل لِّعِبَادِيَ الَّذِينَ آمَنُوا يُقِيمُوا الصَّلَاةَ
وَيُنفِقُوا مِمَّا رَزَقْنَاهُمْ سِرًّا وَعَلَانِيَةً مِّن قَبْلِ أَن
يَأْتِيَ يَوْمٌ لَّا بَيْعٌ فِيهِ وَلَا خِلَالٌ ﴿٣١﴾ اللَّهُ الَّذِي خَلَقَ
السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضَ وَأَنزَلَ مِنَ السَّمَاءِ مَاءً فَأَخْرَجَ بِهِ
مِنَ الثَّمَرَاتِ رِزْقًا لَّكُمْ ۖ وَسَخَّرَ لَكُمُ الْفُلْكَ لِتَجْرِيَ فِي الْبَحْرِ

---

كُفْرًا وَّأَحَلُّوا قَوْمَهُمْ دَارَ الْبَوَارِ آيا توهه ڊ ڇهوهنا تمن لوكن كُن يعني مكه كين كافرن كُن تمو نعمتچه شكر
گُذاري بدل كُفران نعمت كو ربيه واتنوڊ كه قوم پُنن هلاكته كس گرس منز۔ كيازه تمن ته كركه كُفرچ تعليم
جَهَنَّمَ يَصْلَوْنَهَا وَبِئْسَ الْقَرَارُ سُو گو جهنّم يتهه منز تمِ واتن۔ كاژاه يڇهه جاي ڇهه سو قرارچ
وَجَعَلُوا لِلَّهِ أَندَادًا لِّيُضِلُّوا عَن سَبِيلِهِ بيه ٹھراو تمو معبودِ برحقس شريك۔ يِتهه لوكن ڈالن تهنزِه
وَته نِشهِ قُلْ تَمَتَّعُوا فَإِنَّ مَصِيرَكُمْ إِلَى النَّارِ تُهه فرماويُو كهه يا رسول الله تلو تمتع دُنياءس اندر كينهه
كالاه كُهرس پيٹھ روزنه سيت۔ پزپاٹ بهرحال ڇهو توهه پتولا كه واتُن نارسي كُن قُل لِّعِبَادِيَ الَّذِينَ آمَنُوا
يُقِيمُوا الصَّلَاةَ تُهه فرماوِ ميانين باايمان بندن كه تمِ كرن خدايه سنزن نعمتن شكرگذاري۔ يتهه پاٹھِ
كه تمِ تهاون برپا نماز پابندي سان وَيُنفِقُوا مِمَّا رَزَقْنَاهُمْ سِرًّا وَعَلَانِيَةً مِّن قَبْلِ أَن يَأْتِيَ يَوْمٌ
لَّا بَيْعٌ فِيهِ وَلَا خِلَالٌ بيه كرن خرچ تمهِ مالهِ منزه يُس اسي تمن عطا كور پوشيده پاٹھِ ته نِ پاٹھِ ته سُودوه
ينهِ برونٹھ يمهِ دوهه نه خريد و فروخت آسهِ نه دُوستي هُند سلسلهِ آسهِ اللَّهُ الَّذِي خَلَقَ السَّمَاوَاتِ
وَالْأَرْضَ وَأَنزَلَ مِنَ السَّمَاءِ مَاءً فَأَخْرَجَ بِهِ مِنَ الثَّمَرَاتِ رِزْقًا لَّكُمْ معبود برحق گو سُوي يمِ
آسمان ته زمين پيده كرُ۔ بيه يمِ آسمانكهِ طرفه تروو رُود پُس كڈن تمي سيت ميوه ته پھل۔ سُوي كورُن تُهند

بِأَمْرِهِۦ ۖ وَسَخَّرَ لَكُمُ الْأَنْهَارَ ﴿٣٢﴾ وَسَخَّرَ لَكُمُ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ دَآئِبَيْنِ ۖ وَسَخَّرَ لَكُمُ الَّيْلَ وَالنَّهَارَ ﴿٣٣﴾ وَءَاتَىٰكُم مِّن كُلِّ مَا سَأَلْتُمُوهُ ۚ وَإِن تَعُدُّوا۟ نِعْمَتَ ٱللَّهِ لَا تُحْصُوهَآ ۗ إِنَّ ٱلْإِنسَـٰنَ لَظَلُومٌ كَفَّارٌ ﴿٣٤﴾ وَإِذْ قَالَ إِبْرَٰهِيمُ رَبِّ ٱجْعَلْ هَـٰذَا ٱلْبَلَدَ ءَامِنًا وَٱجْنُبْنِى وَبَنِىَّ أَن نَّعْبُدَ ٱلْأَصْنَامَ ﴿٣٥﴾ رَبِّ إِنَّهُنَّ أَضْلَلْنَ كَثِيرًا مِّنَ ٱلنَّاسِ ۖ فَمَن

---

رزق وَسَخَّرَ لَكُمُ الْفُلْكَ لِتَجْرِيَ فِي الْبَحْرِ بِأَمْرِهِ وَسَخَّرَ لَكُمُ الْأَنْهَارَ بیہ تھاوین تھندِس اختیارس
اندر ناوہ تہ جہاز۔ یُتھ تمہِ تھندی حُکمہ سیتِ دریاوَن اندر اورہ یُور پکَن۔ بیہ کرن تھندِس اختیارس اَندر
کولہ جویہ تہ دریاوَ وَسَخَّرَ لَكُمُ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ دَآئِبَيْنِ بیہ کُرِن تھندِہ نفعہ خیطرہ مسخّر آفتاب تہ
زُون یم ہمیشہ پکان چھِ پننہِ کامہِ سیتِ وَسَخَّرَ لَكُمُ الَّيْلَ وَالنَّهَارَ بیہ کُرِن مسخّر تھندِہ نفعہ خیطرہ
رات تہ دوہ وَآتَاكُم مِّن كُلِّ مَا سَأَلْتُمُوهُ بیہ دُیت نوہ توہہِ تمہِ منزہ یہ توہہِ مُونگوس پننہِ یژھنہ مُوجب
وَإِن تَعُدُّوا نِعْمَتَ اللَّهِ لَا تُحْصُوهَا بیہ ہر گاہ تُہہ شُمار تہ گرِیند ہیو کرنِ خدایہ سنزن نعمژن تُہہ ہیکونہ
تمِن شُمار کُرِتھ إِنَّ الْإِنسَانَ لَظَلُومٌ كَفَّارٌ پئز پاٹھہ اِنسان چھُو سخت بے انصاف ناشُکر گذار وَإِذْ
قَالَ إِبْرَاهِيمُ رَبِّ اجْعَلْ هَٰذَا الْبَلَدَ آمِنًا بیہ پاوِژ تیس یلہِ ابراھیم علیہ السلاَم حضرتِ
اسماعیل تہ حضرتِ ہاجرہِ خدایہ سندِہ حُکمہ میدان مکّس منز انتھ تتہ تراو۔ تمی وقتہ منگُو کھ دُعا۔ ای میانہِ
پروردگارہ یہ شہر (یعنی مکّہ شریف) کرتن اَمنہ وُول شہراہ وَاجْنُبْنِي وَبَنِيَّ أَن نَّعْبُدَ الْأَصْنَامَ بیہ
تھاوتہ دُورمہِ تہ میانین خاص اولادن تہ پوتلین ہنز عبادت کرنہ نشہِ رَبِّ إِنَّهُنَّ أَضْلَلْنَ كَثِيرًا
مِّنَ النَّاسِ پروردگارا پئز پاٹھہِ ڈالِ یمو پوتلیو واریاہ لُوکھ۔ یعنی یم بنیای تھنزِہ گمراہی ہُند سبب
فَمَن تَبِعَنِي فَإِنَّهُ مِنِّي وَمَنْ عَصَانِي فَإِنَّكَ غَفُورٌ رَّحِيمٌ وونِ یم تموِ اَندرہ
میانِ متابعت تہ پیروی کُر سُو چھُو میون بیہ یم میانِ نافرمانی کُر، ژہ کر تمِن ہدایت کُرِتھ مغفرِت۔ کیازِہ

تَبِعَنِي فَإِنَّهُ مِنِّي ۖ وَمَنْ عَصَانِي فَإِنَّكَ غَفُورٌ رَّحِيمٌ ﴿٣٦﴾ رَّبَّنَا إِنِّي أَسْكَنتُ مِن ذُرِّيَّتِي بِوَادٍ غَيْرِ ذِي زَرْعٍ عِندَ بَيْتِكَ الْمُحَرَّمِ رَبَّنَا لِيُقِيمُوا الصَّلَاةَ فَاجْعَلْ أَفْئِدَةً مِّنَ النَّاسِ تَهْوِي إِلَيْهِمْ وَارْزُقْهُم مِّنَ الثَّمَرَاتِ لَعَلَّهُمْ يَشْكُرُونَ ﴿٣٧﴾ رَبَّنَا إِنَّكَ تَعْلَمُ مَا نُخْفِي وَمَا نُعْلِنُ ۗ وَمَا يَخْفَىٰ عَلَى اللَّهِ مِن شَيْءٍ فِي الْأَرْضِ وَلَا فِي السَّمَاءِ ﴿٣٨﴾ الْحَمْدُ لِلَّهِ الَّذِي

---

بے شک ژٕہ چھُوک سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن سیٹھاہ رحم کرہ وُن رَبَّنَآ اِنِّیٓ اَسْکَنْتُ مِنْ ذُرِّیَّتِیْ بِوَادٍ غَیْرِ ذِیْ زَرْعٍ عِنْدَ بَیْتِکَ الْمُحَرَّمِ پروردگارا پٔرٕ پاٹھِ مہٕ بسووٕ پنٕن فرزند اسماعیل علیہِ السلام تِہندِ واسطہٕ تمسندِ اولاد یتھ میدانس منز یُس نہ زراعتہٕ وول چھُو چانس تعظیمہٕ والِس گھرس خانہ کعبس نِکھتَل یُس برونٹھ پیٹھٕ یِتِس موجود اُوس یتھ لُوکھ ہمیشہ تعظیم و اَدب کران روزن۔ پنٕن فرزند بسووٕمہٕ اَتھِ نِکھتَل رَبَّنَا لِیُقِیْمُوا الصَّلٰوۃَ پروردگارا یُتھ تِم نماز برپا تھاوَن نمازِہٕنٛد خاص اہتمام کرن۔ وٕنیکن چھُو یہِ میدان خشک، بالکل بے آب و گیاہ فَاجْعَلْ اَفْئِدَۃً مِّنَ النَّاسِ تَھْوِیْٓ اِلَیْھِمْ پَس کر ژٕہ بعضی لوکن ہندِ دِل مائیل تِمن کُن۔ یِتھ تِمن سیتِ آباد سپدَن۔ چونکہ یتہِ چھُونہٕ زراعت وغیرہ کینہہ تہٕ لہٰذا وَارْزُقْھُمْ مِّنَ الثَّمَرٰتِ لَعَلَّھُمْ یَشْکُرُوْنَ کھیاوُکھ تِمِ میوہ پننہِ قدرتہٕ سیتِ یُتھ چانِ شُکر گُذاری کرَن رَبَّنَآ اِنَّکَ تَعْلَمُ مَا نُخْفِیْ وَمَا نُعْلِنُ پروردگارا یہِ سون دُعا چھُو محض محتاجی تہٕ عبودیتس پیٹھٕ مبنی ورنہ ژٕہ چھُوکھ زانان تہٕ سورُوی یہِ اسِ پوشیدہ تھوان چھہِ بیہ تہٕ سورُوی یہِ اسِ ظاہر کران چھہِ۔ وَمَا یَخْفٰی عَلَی اللّٰہِ مِنْ شَیْءٍ فِی الْاَرْضِ وَلَا فِی السَّمَآءِ بیہ چھُونہٕ پوشیدہ اللہ تعالیٰ اَس نشہِ کانہہ چیز اَہ زمینس اندر تہٕ آسمانس اندر اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ الَّذِیْ وَھَبَ

وَهَبَ لِيْ عَلَى الْكِبَرِ اِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ ؕ اِنَّ رَبِّيْ لَسَمِيْعُ الدُّعَآءِ ﴿۳۹﴾ رَبِّ اجْعَلْنِيْ مُقِيْمَ الصَّلٰوةِ وَمِنْ ذُرِّيَّتِيْ ۖ رَبَّنَا وَتَقَبَّلْ دُعَآءِ ﴿۴۰﴾ رَبَّنَا اغْفِرْ لِيْ وَلِوَالِدَيَّ وَلِلْمُؤْمِنِيْنَ يَوْمَ يَقُوْمُ الْحِسَابُ ﴿۴۱﴾ ع وَلَا تَحْسَبَنَّ اللّٰهَ غَافِلًا عَمَّا يَعْمَلُ الظّٰلِمُوْنَ ؕ اِنَّمَا يُؤَخِّرُهُمْ لِيَوْمٍ تَشْخَصُ فِيْهِ الْاَبْصَارُ ﴿۴۲﴾ مُهْطِعِيْنَ مُقْنِعِيْ رُءُوْسِهِمْ لَا يَرْتَدُّ اِلَيْهِمْ طَرْفُهُمْ ۚ وَاَفْـِٕدَتُهُمْ هَوَآءٌ ؕ ﴿۴۳﴾

---

لِيْ عَلَى الْكِبَرِ اِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ حمد بُومِن تَس معبودِ برحقّس یَمِ مہ عطاکُر بُڈِ تھ زہ فرزند۔ اکھ اسمٰعیل یلہِ بوٛنمتہٖ ۹۰ وُہراوُس۔ بیاکھ فرزند اسحاق یلہِ بواکھ ہَت (۱۱۲) تہ باہ وُہراوُس اِنَّ رَبِّيْ لَسَمِيْعُ الدُّعَآءِ پٔز پاٹھِ میون پروردگار چھُو سیٹھاہ بُوزہ وُن منگنس۔ یعنی دعا قبول کرہ وُن۔ رَبِّ اجْعَلْنِيْ مُقِيْمَ الصَّلٰوةِ پروردگارامہِ کرتہ نمازگذار وَمِنْ ذُرِّيَّتِيْ بیہ کرتھ میانیو فرزندو اندرہ تہِ بعضی نمازگذار رَبَّنَا وَتَقَبَّلْ دُعَآءِ پروردگارابیہِ کرتہ میانِ یَم دُعا قبول رَبَّنَا اغْفِرْ لِيْ وَلِوَالِدَيَّ وَلِلْمُؤْمِنِيْنَ يَوْمَ يَقُوْمُ الْحِسَابُ پروردگارامغفرت کر میانس مالس ماجہِ بیہ سارنی باایمانن یَمہِ دوہہ حساب قائم سپدہ یعنی قیامتک دوہ وَلَا تَحْسَبَنَّ اللّٰهَ غَافِلًا عَمَّا يَعْمَلُ الظّٰلِمُوْنَ بیہ مہ کر ژہ گُمانہ ای مخاطب اللہ تعالیٰ ما چھُو بے خبر تمو کامیونشہِ یَمہِ کامہِ کافرِ تہ مُشرِک کران چھہِ اِنَّمَا يُؤَخِّرُهُمْ لِيَوْمٍ تَشْخَصُ فِيْهِ الْاَبْصَارُ سُو چھُو نہ تمن مُہلت دِوان مگر تتھ دوہس تان۔ یَمہِ دوہہ درہ لگن تمن لُوکن ہنزہ اچھہ تمہِ دُہکِ خوفناک تہ خطرناک عذاب وُچھتِ مُهْطِعِيْنَ مُقْنِعِيْ رُءُوْسِهِمْ لَا يَرْتَدُّ اِلَيْهِمْ طَرْفُهُمْ وَاَفْـِٕدَتُهُمْ هَوَآءٌ دوران آسن تم حسابہ کس مُوقفس کُن کلہ پٔنِ تھودر ٹتھ۔ اچھہ آسنکھ وٹنے یِوان تمِ آسنکھ درہ لجمژہ ہیور کُن۔ بیہ آسنکھ دِل خالی عقلہِ نِشہِ۔ بالکل

وَأَنذِرِ النَّاسَ يَوْمَ يَأْتِيهِمُ الْعَذَابُ فَيَقُولُ الَّذِينَ
ظَلَمُوا رَبَّنَا أَخِّرْنَا إِلَىٰ أَجَلٍ قَرِيبٍ نُّجِبْ دَعْوَتَكَ وَنَتَّبِعِ
الرُّسُلَ ۗ أَوَلَمْ تَكُونُوا أَقْسَمْتُم مِّن قَبْلُ مَا لَكُم مِّن زَوَالٍ ﴿٤٤﴾ وَسَكَنتُمْ
فِي مَسَاكِنِ الَّذِينَ ظَلَمُوا أَنفُسَهُمْ وَتَبَيَّنَ لَكُمْ كَيْفَ فَعَلْنَا بِهِمْ
وَضَرَبْنَا لَكُمُ الْأَمْثَالَ ﴿٤٥﴾ وَقَدْ مَكَرُوا مَكْرَهُمْ وَعِندَ اللَّهِ مَكْرُهُمْ
وَإِن كَانَ مَكْرُهُمْ لِتَزُولَ مِنْهُ الْجِبَالُ ﴿٤٦﴾ فَلَا تَحْسَبَنَّ اللَّهَ مُخْلِفَ

---

بد حواس آسن گامت وَأَنذِرِ النَّاسَ يَوْمَ يَأْتِيهِمُ الْعَذَابُ بيهِ کھوڙهِ ناويُو کهُ تهه لوکه يارسُول الله
تهِ دوهس يمهِ دوهه تمن پيٺهِ عذاب واتهِ فَيَقُولُ الَّذِينَ ظَلَمُوا رَبَّنَا أَخِّرْنَا إِلَىٰ أَجَلٍ قَرِيبٍ
عذاب وڇهتهِ ونن يم ظالم پروردگار امُهلت ڍِتهِ اسهِ کم کالس تانِ نُّجِبْ دَعْوَتَكَ وَنَتَّبِعِ الرُّسُلَ
تهِ مُد تُس اندر کرهِ هوائسِ تهِ سورُوی يهِ ژهِ فرماوهنهِ ۔بيهِ کرهِ هو مُتابعت تهِ پيروی چانين پيغمبرن هنز۔
وننهِ اِيک اسهِ دڙايهِ ناتوهِ دُنياء س اَندر پور مُهلت أَوَلَمْ تَكُونُوا أَقْسَمْتُم مِّن قَبْلُ مَا لَكُم مِّن زَوَالٍ
کياه تُهه آسوهِ ناقسم هاوان ارکهِ برونٹھ دُنياء س اَندر کهِ توهِ ڇھونه دُنيا اندره نيرنُوی زانهه وَسَكَنتُمْ فِي
مَسَاكِنِ الَّذِينَ ظَلَمُوا أَنفُسَهُمْ بيهِ آسوهِ ناتُهه بسان تِمن لُوکن هندين شهرن اندر يمو ظُلم کورپانِ پانس
سانِ نافرمانی کرِ تهِ وَتَبَيَّنَ لَكُمْ كَيْفَ فَعَلْنَا بِهِمْ بيهِ ننيووهِ ناتوهِ اَسهِ کياه معامله کور تِمن سيتِ۔ اَتهِ
نافرمانی پيٺھ کيُتهِ سزادِيُت اسهِ تِمن لوکن وَضَرَبْنَا لَكُمُ الْأَمْثَالَ بيهِ کرِهِ نااَسهِ بيان توهِ تهنزهِ مِثالهِ تهِ
تهندِهِ قِصهِ وَقَدْ مَكَرُوا مَكْرَهُمْ وَعِندَ اللَّهِ مَكْرُهُمْ وَإِن كَانَ مَكْرُهُمْ لِتَزُولَ مِنْهُ الْجِبَالُ پتهِ پاٹھِ تمو
کريای پننِ ساری تدبير بيشک تمهِ قسمکِ يمو سيتِ کوهِ تهِ پننهِ جايهِ ڈلهِ هن مگر تمِ ساری تدبير سپدِ بيکار
فَلَا تَحْسَبَنَّ اللَّهَ مُخْلِفَ وَعْدِهِ رُسُلَهُ اى مخاطبهِ ژهِ مهِ گرهرگز يهِ گُمان کهِ الله تعالىٰ کياه ڇھو بدل کرهِ ون
پننهِ نس وَعدس يُس تمِ پننهِ نين پيغمبرن سيتِ کور إِنَّ اللَّهَ عَزِيزٌ ذُو انتِقَامٍ پتهِ پاٹھِ الله تعالىٰ ڇھو
غالِب انتقام هينهِ ڈول۔ تس هيکهِ نهِ پتهِ رٹتھ انتقام تهِ بدله هينهِ نِشهِ کانهه۔ يَوْمَ تُبَدَّلُ الْأَرْضُ

وَعْدِهٖ رُسُلَهٗ ۭ اِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ ذُو انْتِقَامٍ ﴿٤٧﴾ يَوْمَ تُبَدَّلُ الْاَرْضُ
غَيْرَ الْاَرْضِ وَالسَّمٰوٰتُ وَبَرَزُوْا لِلّٰهِ الْوَاحِدِ الْقَهَّارِ ﴿٤٨﴾ وَتَرَى
الْمُجْرِمِيْنَ يَوْمَىِٕذٍ مُّقَرَّنِيْنَ فِي الْاَصْفَادِ ﴿٤٩﴾ سَرَابِيْلُهُمْ مِّنْ
قَطِرَانٍ وَّتَغْشٰى وُجُوْهَهُمُ النَّارُ ﴿٥٠﴾ لِيَجْزِيَ اللّٰهُ كُلَّ نَفْسٍ مَّا
كَسَبَتْ ۭ اِنَّ اللّٰهَ سَرِيْعُ الْحِسَابِ ﴿٥١﴾ هٰذَا بَلٰغٌ لِّلنَّاسِ وَلِيُنْذَرُوْا
بِهٖ وَلِيَعْلَمُوْٓا اَنَّمَا هُوَ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ وَّلِيَذَّكَّرَ اُولُوا الْاَلْبَابِ ﴿٥٢﴾

---

غَيْرَ الْاَرْضِ وَالسَّمٰوٰتُ تمہِ دوہہ بدلاونہ یِیہِ یہِ زمین بیسِ زمینس سیتِ بیہِ یہِ آسمان بیس آسمانس سیتِ وَبَرَزُوْا لِلّٰهِ الْوَاحِدِ الْقَهَّارِ ساری لُوکھ نیرَن پنہ نیو جایَو اندرہ کُنِس قہرہ والِس خدایس برونٹھ کنہِ جواب دِنہ خیطرہ وَتَرَى الْمُجْرِمِيْنَ يَوْمَىِٕذٍ مُّقَرَّنِيْنَ فِي الْاَصْفَادِ بیہِ وِچھوکھ توہہِ نافرمان ہالکن تہ ہتھ کرین منز اکھ اکس سیتِ بند کرنہ آمتِ۔ سَرَابِيْلُهُمْ مِّنْ قَطِرَانٍ کرُتنہِ تھنزہ آسَن تار کولچِہ وَّتَغْشٰى وُجُوْهَهُمُ النَّارُ وَلہِ تہندین بُتھین نار۔ لِيَجْزِيَ اللّٰهُ كُلَّ نَفْسٍ مَّا كَسَبَتْ یِتھ اللہ تعالیٰ بدلہ دِیہِ پرِیتھ اکس مجرمَس تمہِ سارِہ کُوی یہِ تمِ کورمُت آسہِ دُنیاءس اندر اِنَّ اللّٰهَ سَرِيْعُ الْحِسَابِ پٔز پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو جلد حِساب ہیوہ ؤن۔ هٰذَا بَلٰغٌ لِّلنَّاسِ وَلِيُنْذَرُوْا بِهٖ وَلِيَعْلَمُوْٓا اَنَّمَا هُوَ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ وَّلِيَذَّكَّرَ اُولُوا الْاَلْبَابِ یہِ قرآن مجیدیایہِ سُورہ شریفہ چھُو کافی نصیحتہ خیطرہ۔ بیہِ یُتھ تمن امہِ سیتِ بیم کرنہ یِیہِ۔ بیہِ یُتھ تمِ زانن اللہ تعالیٰ چھُو معبود برحقاہ کُنوی۔ بیہِ یُتھ امہِ سیت نصیحت رَٹن عقلہِ وال۔

## سُوْرَةُ الحِجْرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

الٓرٰ قف تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ وَقُرْاٰنٍ مُّبِيْنٍ ﴿۱﴾ رُبَمَا يَوَدُّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَوْ كَانُوْا مُسْلِمِيْنَ ﴿۲﴾ ذَرْهُمْ يَاْكُلُوْا وَيَتَمَتَّعُوْا وَيُلْهِهِمُ الْاَمَلُ فَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ ﴿۳﴾ وَمَآ اَهْلَكْنَا مِنْ قَرْيَةٍ اِلَّا وَلَهَا كِتَابٌ مَّعْلُوْمٌ ﴿۴﴾ مَا تَسْبِقُ مِنْ اُمَّةٍ اَجَلَهَا وَمَا يَسْتَاْخِرُوْنَ ﴿۵﴾

---

الٓرٰ تِم چھِ حُروفِ مقطعات یمن ہندِ معنیٰ چھِ خدایِ سی خبر تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ وَقُرْاٰنٍ مُّبِيْنٍ تِم چھِ آیات بجہ کتابہ ہندِ۔ بیہ روشن قران مجیدکِ۔ رُبَمَا يَوَدُّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَوْ كَانُوْا مُسْلِمِيْنَ یلہِ قیامتک دوہ سپد ہ ، کافِر آسن واریاہ قسمہ کین عذابن منز مُبتلا۔ تمی وقتہ کرن پھیر پھیر تمنّا، کونہ آسِ اَسِ تہِ مسلمان۔ یمہِ یمہِ ساتہ تِم وچھن مُسلمانن ہنز کامیابی یا یمہِ یمہِ ساتہ تِم نوس عذابس آسن گرفتار سپدان ذَرْهُمْ يَاْكُلُوْا وَيَتَمَتَّعُوْا وَيُلْهِهِمُ الْاَمَلُ فَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ تراویو کھ تِم پنہ نِس حالس پیٹھ کھین وارہ پاٹھِ۔ بیہ تُلن تمتع مالِ دُنیاوک۔ غافِل تہ آور چھِ کران تِمن زیٹھ آرزو تہ بڑِ مضوبہ۔ پٔس برونٹھ پہن زانن تِم پانے۔ مئر تھی سپدہ تِمن حقیقت حال معلوم وَمَآ اَهْلَكْنَا مِنْ قَرْيَةٍ اِلَّا وَلَهَا كِتَابٌ مَّعْلُوْمٌ بیہ کٔرِ نہ اَسہِ ہلاک کُنہِ شہرکِ لُوکھ۔ مگر تہندِ ہ خیطرہ اُوس ہلاکتک وقت لیکھنہ آمُت، مقرر کرنہ آمُت۔ تمی سببہ چھُنہ یمن تہِ نافرمانی پیٹھ فوراً سزا یوانِ دِنہ۔ مَا تَسْبِقُ مِنْ اُمَّةٍ اَجَلَهَا وَمَا يَسْتَاْخِرُوْنَ کانہہ اُمتاہ گژھنہ برونٹھ پنہ نِس مقرر کرنہ آمِتس وقتس نہ گژھہ پتھ۔ یتھے پاٹھِ یمہِ ساتہ یمن لُوکن ہندِ گلنک وقت واتہِ تمہِ ساتہ گلن یمِ

وَقَالُوْا يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْ نُزِّلَ عَلَيْهِ الذِّكْرُ اِنَّكَ لَمَجْنُوْنٌ ۝۶ لَوْ مَا تَاْتِيْنَا بِالْمَلٰٓئِكَةِ اِنْ كُنْتَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ ۝۷ مَا نُنَزِّلُ الْمَلٰٓئِكَةَ اِلَّا بِالْحَقِّ وَمَا كَانُوْٓا اِذًا مُّنْظَرِيْنَ ۝۸ اِنَّا نَحْنُ نَزَّلْنَا الذِّكْرَ وَاِنَّا لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ ۝۹ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ فِيْ شِيَعِ الْاَوَّلِيْنَ ۝۱۰ وَمَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ ۝۱۱ كَذٰلِكَ نَسْلُكُهٗ فِيْ قُلُوْبِ الْمُجْرِمِيْنَ ۝۱۲ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِهٖ وَقَدْ خَلَتْ سُنَّةُ الْاَوَّلِيْنَ ۝۱۳ وَلَوْ فَتَحْنَا

---

ضُرور وَقَالُوْا يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْ نُزِّلَ عَلَيْهِ الذِّكْرُ اِنَّكَ لَمَجْنُوْنٌ هيءَ لگ ڏِينهِ مڪّي ڪافر توهِ يارسُول الله، اي شخص ڪيس پيٺو نازِل آو ڪرنه قرآن، بي شڪ ڇھڪُو ڙه مُوت ته ديوانه۔ ڙه ڇھڪُو نُبوّت ڪي غلط دعوىٰ ڪران لَوْ مَا تَاْتِيْنَا بِالْمَلٰٓئِكَةِ اِنْ كُنْتَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ ورنه هرگاه تُهِه اَتھ دعوىٰ اس اندر پرزيرِ ڇھوِه۔ تلهِ ڪونه ڇھوِ ڪھ اسهِ برونٺھ ڪُن ملائڪ اَتان تيم اَسهِ نِشهِ تُهند تصديق ڪره هن۔ الله تعالىٰ ڇھو فرماوان مَا نُنَزِّلُ الْمَلٰٓئِكَةَ اِلَّا بِالْحَقِّ اسِ ڇھِڪهنه ملائڪ سوزان مگر فيصله هيتھ وَمَا كَانُوْٓا اِذًا مُّنْظَرِيْنَ تتھ صورتس اندر ييه نه تِمن تمهِ وقته مُهلت دنه۔ تمهِ ساته ڇھو تِمن ايمان انن يا عذابس گرفتار سپُدن اِنَّا نَحْنُ نَزَّلْنَا الذِّكْرَ وَاِنَّا لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ بيشڪ اَسي ڪُر نازِل يهِ قرآن مجيد۔ تِيچ دليل ڇھو تميُڪ مُعجزه آسُن۔ ييهِ ڇھهِ اسي تتھ راڇھ گرهون۔ تتھ اندر ييڪهِ نه ڪانهه نه ڪمي ڪُرِ تھ نه زيادتي ڪُرِ تھ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ فِيْ شِيَعِ الْاَوَّلِيْنَ پئرِ پاڻھِ سوزه اَسهِ توهِ برونٺھ تهِ يارسُول الله پيغمبر برونٺھين جماعتن ڪُن وَمَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ اوس نه يِوان تِمن نِشهِ ڪانهه پيغمبر مگر تمِ آس تَس استهزاء ته ٺُٺهِ ڪران كَذٰلِكَ نَسْلُكُهٗ فِيْ قُلُوْبِ الْمُجْرِمِيْنَ تتهِ پاڻھِ ڇھهِ اَسِ انبياءَن ٺُٺهِ ڪران خيال۔ نافرمانن هندين دلن اندر پيده ڪران لَا يُؤْمِنُوْنَ بِهٖ وَقَدْ خَلَتْ سُنَّةُ

عَلَيْهِمْ بَابًا مِّنَ السَّمَآءِ فَظَلُّوْا فِيْهِ يَعْرُجُوْنَ ﴿۱۴﴾ لَقَالُوْٓا اِنَّمَا سُكِّرَتْ
اَبْصَارُنَا بَلْ نَحْنُ قَوْمٌ مَّسْحُوْرُوْنَ ﴿۱۵﴾ وَلَقَدْ جَعَلْنَا فِي السَّمَآءِ
بُرُوْجًا وَّزَيَّنّٰهَا لِلنّٰظِرِيْنَ ﴿۱۶﴾ وَحَفِظْنٰهَا مِنْ كُلِّ شَيْطٰنٍ
رَّجِيْمٍ ﴿۱۷﴾ اِلَّا مَنِ اسْتَرَقَ السَّمْعَ فَاَتْبَعَهٗ شِهَابٌ مُّبِيْنٌ ﴿۱۸﴾
وَالْاَرْضَ مَدَدْنٰهَا وَاَلْقَيْنَا فِيْهَا رَوَاسِيَ وَاَنْۢبَتْنَا فِيْهَا
مِنْ كُلِّ شَيْءٍ مَّوْزُوْنٍ ﴿۱۹﴾ وَجَعَلْنَا لَكُمْ فِيْهَا مَعَايِشَ وَمَنْ

---

الْاَوَّلِيْنَ تمی سبہ کرن نہ تمِ پژھ اَتھ قرآن مجیدس یہ نو کتھاہ چھنہ یہ چھُو رسمی رُودمُت برونٹھمین لوکن ہُند۔ لہٰذا امہ سپد وُنہ آزردہ تہ غمگین۔ تہندہِ عنادَچ کیفیت چھہ زِہ ملایکن ہُند آسمانکہِ طرفہ نازِل سپدُن تہ وسُن تھاو توانہٰ تھی۔ ہرگاہ تمِ لوکھ آسمانس پیٹھ کھاروکھ یتھ پاٹھِ کہِ وَلَوْ فَتَحْنَا عَلَيْهِمْ بَابًا مِّنَ السَّمَآءِ فَظَلُّوْا فِيْهِ يَعْرُجُوْنَ ہرگاہ اَسِ مُژراوُو تہندہِ خیطرہ آسمانک دروازہ تو پتہ ہین کھسُن تمِ دوہلہِ (یمہ وقتہ نہ نندرِہ ہُند موقعَ آسہِ) تمہِ دروازہ کِن آسمانس کُن لَقَالُوْٓا اِنَّمَا سُكِّرَتْ اَبْصَارُنَا توتہِ ییکھ نہ پژھ دِینہِ لگن سانہِ اچھ چھنہ مگر بند کرنہ آمژہ۔ اَسِ چھنہ آسمانس کھسان بلکہ چھہ اَسہِ نظر بندی کرنہ آمژ بَلْ نَحْنُ قَوْمٌ مَّسْحُوْرُوْنَ بلکہ چھُو اسہِ پیٹھ سحر تہ جود کرنہ آمُت۔ اَسے امہِ علاوہ تہِ کینہہ ہاونہ ییہِ تتہِ آسہِ ای یعنی سحر تہ جود وَلَقَدْ جَعَلْنَا فِي السَّمَآءِ بُرُوْجًا وَّزَيَّنّٰهَا لِلنّٰظِرِيْنَ پُزٕ پاٹھِ بیہِ کُرٕ اَسہِ آسمانن اندر بُرج پیدہ۔ بیہِ کُرٕ اَسہِ تمِ آسمان مُزیّن وچھن والین ہندہِ خیطرہ وَحَفِظْنٰهَا مِنْ كُلِّ شَيْطٰنٍ رَّجِيْمٍ بیہِ کُرٕ اَسہِ تتھ راچھ پریتھ کُڈِ تھ ژھننہ آمُتس شیطانس نِشہِ اِلَّا مَنِ اسْتَرَقَ السَّمْعَ فَاَتْبَعَهٗ شِهَابٌ مُّبِيْنٌ مگر یم شیطانَن ژورِہ پاٹھِ گن دُیت، کانہہ خبراہ بُوزن تمس چھُو پتہ دوران روشن تارُکاہ ریہہ تراوان۔ یمہِ سیتِ سُو شیطان چھُو ہلاک سپدان یا بد حواس سپدان۔ امی طریقہ چھہِ اسِ شیطانس نِشہِ آسمانس حفاظت کران وَالْاَرْضَ مَدَدْنٰهَا وَاَلْقَيْنَا فِيْهَا رَوَاسِيَ وَاَنْۢبَتْنَا فِيْهَا مِنْ كُلِّ شَيْءٍ مَّوْزُوْنٍ بیہِ وہرووُاسہِ زمین یُتھ تتھ منز بسَن انسان تہ حیوانات، تتھ منز تراوِ اسہِ گوبرہ

لَّسْتُمْ لَهٗ بِرٰزِقِيْنَ ﴿٢٠﴾ وَاِنْ مِّنْ شَيْءٍ اِلَّا عِنْدَنَا خَزَآئِنُهٗ وَمَا
نُنَزِّلُهٗٓ اِلَّا بِقَدَرٍ مَّعْلُوْمٍ ﴿٢١﴾ وَاَرْسَلْنَا الرِّيٰحَ لَوَاقِحَ فَاَنْزَلْنَا
مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَسْقَيْنٰكُمُوْهُ ۚ وَمَآ اَنْتُمْ لَهٗ بِخٰزِنِيْنَ ﴿٢٢﴾ وَ
اِنَّا لَنَحْنُ نُحْيٖ وَنُمِيْتُ وَنَحْنُ الْوٰرِثُوْنَ ﴿٢٣﴾ وَلَقَدْ عَلِمْنَا
الْمُسْتَقْدِمِيْنَ مِنْكُمْ وَلَقَدْ عَلِمْنَا الْمُسْتَاْخِرِيْنَ ﴿٢٤﴾ وَاِنَّ
رَبَّكَ هُوَ يَحْشُرُهُمْ ۭ اِنَّهٗ حَكِيْمٌ عَلِيْمٌ ﴿٢٥﴾ ع وَلَقَدْ خَلَقْنَا

---

تہ ثقلہ خیطرہ لنگر یعنے بڈِ بڈِ کوہ۔ بیہ کھوراَسہِ تمہِ زیمنہ منزہ پرتھ چیزاہ میٹھ تہ وزن کرِتھ **وَجَعَلْنَا لَكُمْ فِيْهَا مَعَايِشَ** بیہ کرِ پیدہ اَسہِ اتھ زمینس منز تُہندہِ خیطرہ زِندہ رُوزنِک سامان۔ کھینک چیز تہ چینکِ چیز، لباس تہ پُوشاک **وَمَنْ لَّسْتُمْ لَهٗ بِرٰزِقِيْنَ** بیہ کرِ اَسہِ تہندہِ فایدہ خیطرہ تمِ مخلوق پیدہ تمنِ روزی دِوہ وَنِ تُہہ چھوہ نہ بلکہ چھہِ اَسی تمن رِزق عطا کران۔ تُہہ چھوہ تمن نِشہِ فائدہ تُلان **وَاِنْ مِّنْ شَيْءٍ اِلَّا عِنْدَنَا خَزَآئِنُهٗ وَمَا نُنَزِّلُهٗٓ اِلَّا بِقَدَرٍ مَّعْلُوْمٍ** بیہِ چھُونہ کانہہ چیزاہ از قسم رِزق مگر تمکِ خزانن ہندِ خزانہ چھہِ اسی نِشہِ۔ اَسِ چھہِ تراوان تہ نازِل کران مگر اکہ مقدارہ مُوجب **وَاَرْسَلْنَا الرِّيٰحَ لَوَاقِحَ** بیہ چھہِ اَسِ سوزان واو یم پُر چھہِ کران ابرس آبہِ سیتِ **فَاَنْزَلْنَا مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَسْقَيْنٰكُمُوْهُ** تو پتہ چھہِ اَسِ تراوان آسمانکہِ طرفہ رُود۔ تو پتہ چھہ اس تو ہہِ سیراب کران **وَمَآ اَنْتُمْ لَهٗ بِخٰزِنِيْنَ** تُوہِ ہیکہِ ہِونہ تیوت آب اَکسی جایہِ جمع کرِتھ۔ **وَاِنَّا لَنَحْنُ نُحْيٖ وَنُمِيْتُ وَنَحْنُ الْوٰرِثُوْنَ** بیہ چھہِ اَسی زِندہ کران تہ ماران۔ بیہ چھہِ اَسی ساری مارِت پتھ کُن باقی روزہ ونِ **وَلَقَدْ عَلِمْنَا الْمُسْتَقْدِمِيْنَ مِنْكُمْ وَلَقَدْ عَلِمْنَا الْمُسْتَاْخِرِيْنَ** پئزِ پاٹھِ اَسہِ چھہ خبری تو ہہِ اَندرہ برونٹھ گژھہ وِنین ہنز۔ بیہ چھہ پئزِ پاٹھِ اسہِ خبری تو ہہِ اَندرہ پتھ روزہ وِنین ہنز **وَاِنَّ رَبَّكَ هُوَ يَحْشُرُهُمْ ۭ اِنَّهٗ حَكِيْمٌ عَلِيْمٌ** پئز پاٹھ تُہند پروردگاری سونبرِہ تمن سارنی اولینن تہ آخرینن۔ پئزِ پاٹھِ سُوی چھُو سیٹھاہ حکمتہ ؤول، سیٹھاہ زانَن ؤول۔ تَس چھہ خبر کُس مخلوقہ سندِ کم کم اجزاء کتھ کتھ جایہِ چھہ **وَلَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنْ**

الْإِنْسَانَ مِنْ صَلْصَالٍ مِّنْ حَمَإٍ مَّسْنُونٍ ﴿٢٦﴾ وَالْجَآنَّ خَلَقْنٰهُ مِنْ قَبْلُ مِنْ نَّارِ السَّمُوْمِ ﴿٢٧﴾ وَإِذْ قَالَ رَبُّكَ لِلْمَلٰٓئِكَةِ إِنِّیْ خَالِقٌۢ بَشَرًا مِّنْ صَلْصَالٍ مِّنْ حَمَإٍ مَّسْنُونٍ ﴿٢٨﴾ فَإِذَا سَوَّيْتُهٗ وَنَفَخْتُ فِيْهِ مِنْ رُّوْحِیْ فَقَعُوْا لَهٗ سٰجِدِيْنَ ﴿٢٩﴾ فَسَجَدَ الْمَلٰٓئِكَةُ كُلُّهُمْ أَجْمَعُوْنَ ﴿٣٠﴾ إِلَّآ إِبْلِيْسَ ۭ أَبٰٓى أَنْ يَّكُوْنَ مَعَ السّٰجِدِيْنَ ﴿٣١﴾ قَالَ يٰٓإِبْلِيْسُ مَا لَكَ أَلَّا تَكُوْنَ مَعَ السّٰجِدِيْنَ ﴿٣٢﴾ قَالَ لَمْ أَكُنْ لِّأَسْجُدَ لِبَشَرٍ خَلَقْتَهٗ مِنْ صَلْصَالٍ مِّنْ حَمَإٍ مَّسْنُونٍ ﴿٣٣﴾

---

صَلْصَالٍ مِّنْ حَمَإٍ مَّسْنُونٍ بیہِ کُرِ اسہِ پیدہ پزِ پاٹھِ انسان خُشک گامژہ رَبہٕ۔ یتھ ترنو ترنو گرٕھان اُوس یتھ واریہس کالس آبس منز روزنہ سبب مُشک وو تھُمت اُوس وَالْجَآنَّ خَلَقْنٰهُ مِنْ قَبْلُ مِنْ نَّارِ السَّمُوْمِ بیہِ کُرِ جن پیدہ امہِ برونٹھ، نارہ چہِ ریہہِ یتھ سیتِ رُوہ اوس۔ وَإِذْ قَالَ رَبُّكَ لِلْمَلٰٓئِكَةِ إِنِّیْ خَالِقٌۢ بَشَرًا مِّنْ صَلْصَالٍ مِّنْ حَمَإٍ مَّسْنُونٍ سُو وقت تہِ چھُو قابلِ ذِکرِ یلہِ تُھندِ پروردگارَن فرموو ملایکن ای ملایکو بو کرن پیدہ اکھ مخلوقاہ اکھ تمسُند پُوست نوئے جرٕ ورای آسہِ تغیر گیمژِ رَبہِ یُوسہ خشک گرٕھِت دزان آسہِ فَإِذَا سَوَّيْتُهٗ وَنَفَخْتُ فِيْهِ مِنْ رُّوْحِیْ فَقَعُوْا لَهٗ سٰجِدِيْنَ تو پتہ یلہِ بو سُو مکمل کرن بیہِ برہ بو تھندس بدنس منز پنُن روح تمہِ ساتہ گرٕھہِ تُھند فوراً تس کُن تُمن سجدہ کس حالتس اندر روزُن میانہِ روحِکہ تعظیمہ خیطرہ فَسَجَدَ الْمَلٰٓئِكَةُ كُلُّهُمْ أَجْمَعُوْنَ تو پتہ یلہِ سُو وقت وُوت ساروی ملایکو دیت سجدہ اِکہ وَٹہ إِلَّآ إِبْلِيْسَ مگر دیت نہ سجدہ ابلیسن أَبٰٓى أَنْ يَّكُوْنَ مَعَ السّٰجِدِيْنَ تم کور اِنکار سجدہ دنہ والین سیت شامِل سپدنہٕ نشہ قَالَ خدایَن فرمُووس يٰٓإِبْلِيْسُ مَا لَكَ أَلَّا تَكُوْنَ مَعَ السّٰجِدِيْنَ ای ابلیس ژِہ کیاہ سپُدوی ژہ سپُد کھ نہ شامِل سجدہِ دِنہ والین سیتِ قَالَ ابلیسن دوپ لَمْ أَكُنْ لِّأَسْجُدَ لِبَشَرٍ خَلَقْتَهٗ مِنْ صَلْصَالٍ مِّنْ حَمَإٍ مَّسْنُونٍ بو گوس نہ سُو شخص بو کیادِمہ سجدہ تَس

قَالَ فَاخْرُجْ مِنْهَا فَإِنَّكَ رَجِيمٌ ﴿٣٤﴾ وَإِنَّ عَلَيْكَ اللَّعْنَةَ إِلَىٰ يَوْمِ الدِّينِ ﴿٣٥﴾ قَالَ رَبِّ فَأَنظِرْنِي إِلَىٰ يَوْمِ يُبْعَثُونَ ﴿٣٦﴾ قَالَ فَإِنَّكَ مِنَ الْمُنظَرِينَ ﴿٣٧﴾ إِلَىٰ يَوْمِ الْوَقْتِ الْمَعْلُومِ ﴿٣٨﴾ قَالَ رَبِّ بِمَا أَغْوَيْتَنِي لَأُزَيِّنَنَّ لَهُمْ فِي الْأَرْضِ وَلَأُغْوِيَنَّهُمْ أَجْمَعِينَ ﴿٣٩﴾ إِلَّا عِبَادَكَ مِنْهُمُ الْمُخْلَصِينَ ﴿٤٠﴾ قَالَ هَٰذَا صِرَاطٌ عَلَيَّ مُسْتَقِيمٌ ﴿٤١﴾ إِنَّ عِبَادِي لَيْسَ لَكَ عَلَيْهِمْ سُلْطَانٌ إِلَّا مَنِ اتَّبَعَكَ

---

قَالَ فَاخْرُجْ مِنْهَا فَإِنَّكَ رَجِيمٌ بشرس ئُس ژہ پیدہ کور تھن تغیر گیموِہ رَبہ۔ یُوسہ خشک گڑِھت دزان آس خداین فرموُس تلہِ نیر ژہ جنتہ منزہ کیازِہ پیژ پاڑِ چھُکھہ ژہ مرُدود۔ وَإِنَّ عَلَيْكَ اللَّعْنَةَ إِلَىٰ يَوْمِ الدِّينِ پیژ پاڑِ بیہِ چھہ ژہ پیٹھ لعنت قیامتہ کِس دوہَس تام یعنی ہمیشہ قَالَ رَبِّ فَأَنظِرْنِي إِلَىٰ يَوْمِ يُبْعَثُونَ اِبلیسن دُوپ پروردگارا ہرگاہ بُو حضرتِ آدم سندی وجہہ مرُدود کور تھَس تلہِ دِہ مےِ مہلت تتھ دوہَس تانِ۔ یمہِ دوہہ ساری اِنسان دوبارہ بیہِ زِندہ کرِ تھ قبرو اَندرہ کڈنہ ین۔ قَالَ فَإِنَّكَ مِنَ الْمُنظَرِينَ اللہ تعالیٰ اَن فرموُس بیشک چھُو کھ ژہ مہلت دِنہ آمتیو اَندرہ إِلَىٰ يَوْمِ الْوَقْتِ الْمَعْلُومِ تتھ مقرر کرنہ آمتِس دوہَس تانِ قَالَ رَبِّ بِمَا أَغْوَيْتَنِي لَأُزَيِّنَنَّ لَهُمْ فِي الْأَرْضِ وَلَأُغْوِيَنَّهُمْ أَجْمَعِينَ ابلیسن دُوپ خدایا۔ یمہِ وجہہ کِن ژہ کور تھَس بو گمراہ مےِ چھُو قسم بو کرکھ گمراہ بنی آدم۔ معاصی تہ گُنہن دمہِ تِمن زینت دنیاءس اندر۔ تِیچھہ کامہِ آسَن بوزنہ یِوان تِمن جان بیہِ کرکھ بو ساری گمراہ سیزِہ وَتہِ نِشہِ ڈالکھ إِلَّا عِبَادَكَ مِنْهُمُ الْمُخْلَصِينَ مگر چِلیم نہ کینہہ چانین مُخلص بندن پیٹھ یم ژِہ میانہِ اثرہ نِشہِ محفوظ تھاوتھکھ قَالَ هَٰذَا صِرَاطٌ عَلَيَّ مُسْتَقِيمٌ اللہ تعالیٰ اَن فرموُس بَس یہوی اخلاصی کیاچھہ مےِ تانِ واتنچ سیزِ وتھ إِنَّ عِبَادِي لَيْسَ لَكَ

مِنَ الْغٰوِيْنَ ﴿۴۲﴾ وَاِنَّ جَهَنَّمَ لَمَوْعِدُهُمْ اَجْمَعِيْنَ ﴿۴۳﴾
لَهَا سَبْعَةُ اَبْوَابٍ ؕ لِكُلِّ بَابٍ مِّنْهُمْ جُزْءٌ مَّقْسُوْمٌ ﴿۴۴﴾
اِنَّ الْمُتَّقِيْنَ فِيْ جَنّٰتٍ وَّعُيُوْنٍ ﴿۴۵﴾ اُدْخُلُوْهَا بِسَلٰمٍ
اٰمِنِيْنَ ﴿۴۶﴾ وَنَزَعْنَا مَا فِيْ صُدُوْرِهِمْ مِّنْ غِلٍّ اِخْوَانًا عَلٰى
سُرُرٍ مُّتَقٰبِلِيْنَ ﴿۴۷﴾ لَا يَمَسُّهُمْ فِيْهَا نَصَبٌ وَّمَا هُمْ مِّنْهَا
بِمُخْرَجِيْنَ ﴿۴۸﴾ نَبِّئْ عِبَادِيْۤ اَنِّيْۤ اَنَا الْغَفُوْرُ الرَّحِيْمُ ﴿۴۹﴾ وَاَنَّ

---

عَلَيْهِمْ سُلْطٰنٌ اِلَّا مَنِ اتَّبَعَكَ مِنَ الْغٰوِيْنَ پَرَ پاڙهِ مياڻين ٻانڊن پيڻ ڇهُوي نه ٿِهِ کانهه طاقت گُمراه کرنڪ، مگر تي يَم چاڻِ پيروي کرن، چاڻهِ ڪتهه ماڻن، ڊليتو اندره وَاِنَّ جَهَنَّمَ لَمَوْعِدُهُمْ اَجْمَعِيْنَ بيشڪ نارِ جهنّم ڇهُو تِمن سارني هندِه وعدچ جاي. يعني ٿِهِ ته چاڻين پيرون هندِه خيطره ڇهُو جهنّم تيار کرنه آمُت لَهَا سَبْعَةُ اَبْوَابٍ لِكُلِّ بَابٍ مِّنْهُمْ جُزْءٌ مَّقْسُوْمٌ تته جهنّمس ڇههِ ست (۷) دروازه. پرِيتهه دروازه خيطره ڇهُو تِمو نافرمان لُوکو اندره اکه اکه حِصاه مُقرر کرنه آمُت اِنَّ الْمُتَّقِيْنَ فِيْ جَنّٰتٍ وَّعُيُوْنٍ پَرَ پاڙهِ متقي ته پرهيزگار، تِم شرِ که نِشهِ، نافرمانيو نِشهِ پتهه رودِمتِ آسَن، تِمِ آسَن باغن اندر، تِمن منز کم کم چشمه، ناگه راد آسن پکان، تِمن ييهِ وننه اُدْخُلُوْهَا بِسَلٰمٍ اٰمِنِيْنَ اي باايمانو اڙِو تِمن جنتن اندر بسلامتي، امن وامانه سان وَنَزَعْنَا مَا فِيْ صُدُوْرِهِمْ مِّنْ غِلٍّ اِخْوَانًا عَلٰى سُرُرٍ مُّتَقٰبِلِيْنَ ييهِ آسهِ اَسهِ کوڊُمت برُو نِٺهي تههنديو دِلو اندره سورُوي کينه ته حسد. تمهِ سبه آسَن تِمِ باي بايِ سيدِه سيود تختن پيڻ بهتهِ. اکه اَگي سُند درجهِ وڇهتهه آسيکه نه رشک ته حسد سَپدان لَا يَمَسُّهُمْ فِيْهَا نَصَبٌ وَّمَا هُمْ مِّنْهَا بِمُخْرَجِيْنَ واتان آسهِ نه تِمن جنتن منز کانهه تکليفاه ييهِ مِن نه تِمِ کڈنه زانهه تِمو جنتو اندره نَبِّئْ عِبَادِيْۤ اَنِّيْۤ اَنَا الْغَفُوْرُ الرَّحِيْمُ * وَاَنَّ عَذَابِيْ هُوَ الْعَذَابُ الْاَلِيْمُ فرماوِتهه يارسُول الله مياڻين ٻانڊن بيشڪ بوڇهُوس سيٺهاه مغفرت کرهڊن سيٺهاه رحم کرهڊن. ييه ڇهُو ميون عذاب تهِ سيٺهاه کُڈر عذاب وَنَبِّئْهُمْ عَنْ ضَيْفِ اِبْرٰهِيْمَ ييهِ کَرِو حَض مياڻين ٻانڊن خبر.

عَذَابِىْ هُوَ الْعَذَابُ الْاَلِيْمُ ﴿٥٠﴾ وَنَبِّئْهُمْ عَنْ ضَيْفِ اِبْرٰهِيْمَ ﴿٥١﴾
اِذْ دَخَلُوْا عَلَيْهِ فَقَالُوْا سَلٰمًا ؕ قَالَ اِنَّا مِنْكُمْ وَجِلُوْنَ ﴿٥٢﴾
قَالُوْا لَا تَوْجَلْ اِنَّا نُبَشِّرُكَ بِغُلٰمٍ عَلِيْمٍ ﴿٥٣﴾ قَالَ اَبَشَّرْتُمُوْنِىْ
عَلٰٓى اَنْ مَّسَّنِىَ الْكِبَرُ فَبِمَ تُبَشِّرُوْنَ ﴿٥٤﴾ قَالُوْا بَشَّرْنٰكَ
بِالْحَقِّ فَلَا تَكُنْ مِّنَ الْقٰنِطِيْنَ ﴿٥٥﴾ قَالَ وَمَنْ يَّقْنَطُ مِنْ
رَّحْمَةِ رَبِّهٖٓ اِلَّا الضَّآلُّوْنَ ﴿٥٦﴾ قَالَ فَمَا خَطْبُكُمْ اَيُّهَا
الْمُرْسَلُوْنَ ﴿٥٧﴾ قَالُوْٓا اِنَّآ اُرْسِلْنَآ اِلٰى قَوْمٍ مُّجْرِمِيْنَ ﴿٥٨﴾ اِلَّآ اٰلَ

---

حضرتِ ابراهيمه سندين پڙهين هنز۔ پائے تريکھ فکرہ ڪٿهہ پاڻ ڇهِ الله تعالیٰ سندِ دوشوے صِفت۔ رحمتک صفت تہ غضبک صِفت ظاهر سپدان پنس پنس موقس پيٹھ اِذْ دَخَلُوْا عَلَيْهِ فَقَالُوْا سَلٰمًا يلهِ تم پڑهہِ ژاي تمن نِش توپتہ کرکھ سلام قَالَ اِنَّا مِنْكُمْ وَجِلُوْنَ حضرتِ ابراهيمن دوپچھ اَسِ ڇهِ توهہِ کھوژان قَالُوْا لَا تَوْجَلْ اِنَّا نُبَشِّرُكَ بِغُلٰمٍ عَلِيْمٍ تمو دوپهکھ کھو ژومہ بلکہ گڑھو خوش کيازِہ اَسِ ڇهِ توهہِ خوشخبر واتناوان اکس عالمِ فرزندہ سنز قَالَ اَبَشَّرْتُمُوْنِىْ عَلٰٓى اَنْ مَّسَّنِىَ الْكِبَرُ فَبِمَ تُبَشِّرُوْنَ حضرتِ ابراهيمن فرموٗ دکھ کياہ تُهہ ڇهوہ مہ فرزندہ سنز خوشخبر وناں۔ حالانکہِ بو ڇهوس وونِ بڈ يومُت۔ پَس ڪتهہ پاڻھ ڇهوم خوشخبر دِوان قَالُوْا بَشَّرْنٰكَ بِالْحَقِّ فَلَا تَكُنْ مِّنَ الْقٰنِطِيْنَ تمو دوپهک اَسِ حق ڇهِ پنز پاڻ توهہِ خوشخبر وناں۔ پس مہ سپديو تُهہ نااُميد قَالَ وَمَنْ يَّقْنَطُ مِنْ رَّحْمَةِ رَبِّهٖٓ اِلَّا الضَّآلُّوْنَ حضرتِ ابراهيمن فرموٗ دکھ خدايہ سندِ رحمتہ نِشہِ کُهہ سپدِ نااُميد گمراہ وراي قَالَ فَمَا خَطْبُكُمْ اَيُّهَا الْمُرْسَلُوْنَ توپتہ فرموٗ هکھ توهہِ کياہ کوم ڇهہ بيہ، اي خوشخبر هيت سوزنہ آميو ملکو قَالُوْٓا اِنَّآ اُرْسِلْنَآ اِلٰى قَوْمٍ مُّجْرِمِيْنَ تمو دُوپهک بيشک اس ڇهِ سوزنہ آمت اکسِ نافرمان جرائم پيشہ قومس کُن تهندہ هلاک کرنہ خيطرہ۔ تمن سزا دِنہ خيطرہ اِلَّآ اٰلَ لُوْطٍ ؕ اِنَّا لَمُنَجُّوْهُمْ اَجْمَعِيْنَ

لُوطٍ ۖ إِنَّا لَمُنَجُّوهُمْ أَجْمَعِينَ ﴿٥٩﴾ إِلَّا امْرَأَتَهُ قَدَّرْنَا ۙ إِنَّهَا لَمِنَ الْغَابِرِينَ ﴿٦٠﴾ فَلَمَّا جَاءَ آلَ لُوطٍ الْمُرْسَلُونَ ﴿٦١﴾ قَالَ إِنَّكُمْ قَوْمٌ مُنْكَرُونَ ﴿٦٢﴾ قَالُوا بَلْ جِئْنَاكَ بِمَا كَانُوا فِيهِ يَمْتَرُونَ ﴿٦٣﴾ وَأَتَيْنَاكَ بِالْحَقِّ وَإِنَّا لَصَادِقُونَ ﴿٦٤﴾ فَأَسْرِ بِأَهْلِكَ بِقِطْعٍ مِنَ اللَّيْلِ وَاتَّبِعْ أَدْبَارَهُمْ وَلَا يَلْتَفِتْ مِنْكُمْ أَحَدٌ وَامْضُوا حَيْثُ تُؤْمَرُونَ ﴿٦٥﴾ وَقَضَيْنَا إِلَيْهِ ذَٰلِكَ الْأَمْرَ أَنَّ دَابِرَ هَٰؤُلَاءِ

---

مگر نہ حضرتِ لوطہ سندِس خاندانس پیٹھ یا تِمن سارنی ہندِ خیطرٕ چھہِ اسِ نجات دِوٕوِنِ إِلَّا امْرَأَتَهُ قَدَّرْنَا إِنَّهَا لَمِنَ الْغَابِرِينَ مگر نہ حضرتِ لوط سنز زنانہ تمسندِ خیطرٕ چھو اسہِ مقرر کورمُت کہ سہ چھہ کافرن سیت رُوزِتھ عذابس گرفتار سپدن واجبِن۔ فَلَمَّا جَاءَ آلَ لُوطٍ الْمُرْسَلُونَ تمہِ پتہ ییلہِ واتِ تِم سوزنہ آمتِ ملک لوطہ سندِس خاندانس نِشہِ انسان شکلہ اندر قَالَ إِنَّكُمْ قَوْمٌ مُنْكَرُونَ تمو دوپہک تُہہِ چھوِہ بیشک بوزنہ یِوان غیر زان جماعتھاہ قَالُوا بَلْ جِئْنَاكَ بِمَا كَانُوا فِيهِ يَمْتَرُونَ تمو دوپہک نہٕ اَسِ ووپرٕ چھِنہ بلکہِ چھہِ اَسِ آمتِ توہہِ نِشِ سُو چیز ہتھ یتھ منز یم لوکھ شک تہٕ تردد کران آسِ یعنی یہندِ خیطرٕ عذاب وَأَتَيْنَاكَ بِالْحَقِّ وَإِنَّا لَصَادِقُونَ بیہ چھہِ آمتِ اَسِ توہیہ نِشہِ پختہ کتھ ہیتھ۔ بیہ چھہِ اَسِ یقیناً پوزونہ وِنِ فَأَسْرِ بِأَهْلِكَ بِقِطْعٍ مِنَ اللَّيْلِ وَاتَّبِعْ أَدْبَارَهُمْ وَلَا يَلْتَفِتْ مِنْكُمْ أَحَدٌ وَامْضُوا حَيْثُ تُؤْمَرُونَ پَس کڈیون پنُن عیال۔ یمہِ شہرٕ اندرٕ راٹھ ہندِس کُنہِ حصس اندر۔ تُہہ تہٕ نیر یوکھ سیتِ پتہ پتہ۔ توہہِ اَندرٕ یتھنہ پوت نظر کانہہ دِیہ۔ بیہ گڑھِو تو توہی یُتت توہہِ حُکم کرنہ آو یعنی شہر شامس کُن وَقَضَيْنَا إِلَيْهِ ذَٰلِكَ الْأَمْرَ أَنَّ دَابِرَ هَٰؤُلَاءِ مَقْطُوعٌ مُصْبِحِينَ بیہ سوزاسہِ حضرتِ لوطس نِشِ یہِ حُکم کہ پزِ پاٹھِ یمن لوکن ہند مُول چھو ژٹنہ آمُت یتھوی یم صُبحس ووتھن وَجَاءَ أَهْلُ الْمَدِينَةِ يَسْتَبْشِرُونَ توپتہ ای اَمہِ شہرکِ لوکھ حضرتِ لوطس نِشہِ یمن خوبصورت مہمانن ہُند بُوزِتھ خوشیہِ تہٕ شادِہ کران کہ شکار بنیوو قَالَ إِنَّ هَٰؤُلَاءِ ضَيْفِي فَلَا تَفْضَحُونِ حضرتِ لوط سُند

مَقْطُوْعٌ مُّصْبِحِيْنَ ﴿۶۶﴾ وَجَآءَ اَهْلُ الْمَدِيْنَةِ يَسْتَبْشِرُوْنَ ﴿۶۷﴾
قَالَ اِنَّ هٰٓؤُلَآءِ ضَيْفِيْ فَلَا تَفْضَحُوْنِ ﴿۶۸﴾ وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَلَا
تُخْزُوْنِ ﴿۶۹﴾ قَالُوْٓا اَوَلَمْ نَنْهَكَ عَنِ الْعٰلَمِيْنَ ﴿۷۰﴾ قَالَ هٰٓؤُلَآءِ بَنَاتِيْٓ
اِنْ كُنْتُمْ فٰعِلِيْنَ ﴿۷۱﴾ لَعَمْرُكَ اِنَّهُمْ لَفِيْ سَكْرَتِهِمْ يَعْمَهُوْنَ ﴿۷۲﴾
فَاَخَذَتْهُمُ الصَّيْحَةُ مُشْرِقِيْنَ ﴿۷۳﴾ فَجَعَلْنَا عَالِيَهَا سَافِلَهَا وَ
اَمْطَرْنَا عَلَيْهِمْ حِجَارَةً مِّنْ سِجِّيْلٍ ﴿۷۴﴾ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ
لِّلْمُتَوَسِّمِيْنَ ﴿۷۵﴾ وَاِنَّهَا لَبِسَبِيْلٍ مُّقِيْمٍ ﴿۷۶﴾ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً

---

غمگین تموو یہک یم ہاچھِ میانِ مہمان ئِس مہٕ منٛدہ چھاوِمہٕ وَاتَّقُوا اللّٰهَ وَلَا تُخْزُوْنِ بیہ کھوژو خدایس بیہ مہٕ منٛدہ چھاوِمہ قَالُوْٓا اَوَلَمْ نَنْهَكَ عَنِ الْعٰلَمِيْنَ تموو یہک اسِ چھنا توہہٕ منع کران کہ تہٕ مہٕ آسیو کھ عالمکِ لوکھ گرہ اتان تہٕ مہمان بناوان قَالَ هٰٓؤُلَآءِ بَنَاتِيْٓ اِنْ كُنْتُمْ فٰعِلِيْنَ حضرتِ لوطن فرموو کھ یژپاٹھِ یہ تُہنزہ زنانہ چھہٕ میانین کورین برابر، تُہنز خواہش پورہ کرنہ خیطرہ چھہٕ تمہِ کافی۔ حلال چیز تراوتھ کیازِہ چھوِہ حرام چیزس پتہ لاران لَعَمْرُكَ اِنَّهُمْ لَفِيْ سَكْرَتِهِمْ يَعْمَهُوْنَ تہندِہ جانک قسم یارسول اللہ قوم لوط اوس پننہِ مستی منز گیران۔ تمن اوس نہ بوزئے یوان کینہہ سون ووگُن حضرتِ لوط سندھ فرماونک آسِ نہ کانہہ پرواکران فَاَخَذَتْهُمُ الصَّيْحَةُ مُشْرِقِيْنَ پس رٹِ تم صُبحس آفتاب گھَسن وِزِہ جبریلِ اینہ سزِہ کریکہِ فَجَعَلْنَا عَالِيَهَا سَافِلَهَا وَاَمْطَرْنَا عَلَيْهِمْ حِجَارَةً مِّنْ سِجِّيْلٍ توہ پتہ کوراسہِ تہندِس شہرس تلُک پیٹھ۔ بیہ ترووا سہِ تمن پیٹھ سنگِ باران، میژِہ پھلِ یم نارس منز پنہ آسِ آمت۔ تمے آسِ کنہِ ہشہِ گامت تمے تروکھ پیٹھ رُودکِ پاٹھ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّلْمُتَوَسِّمِيْنَ یژپاٹھِ اتھ قصس منز چھ واریاہ نشانہ تہٕ دلیلہ وارہ و چھن والین ہندِہ خیطرہ وَاِنَّهَا لَبِسَبِيْلٍ مُّقِيْمٍ یژپاٹھِ تہندِ شہر چھہٕ مِنِ وتہِ پیٹھ۔ یُس تیار پکان چھُو تس چھہٕ یم تباہ و برباد گامت شہر

لِّلْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۷۷﴾ وَاِنْ كَانَ اَصْحٰبُ الْاَيْكَةِ لَظٰلِمِيْنَ ﴿۷۸﴾ فَانْتَقَمْنَا
مِنْهُمْ وَاِنَّهُمَا لَبِاِمَامٍ مُّبِيْنٍ ﴿۷۹﴾ وَلَقَدْ كَذَّبَ اَصْحٰبُ الْحِجْرِ
الْمُرْسَلِيْنَ ﴿۸۰﴾ وَاٰتَيْنٰهُمْ اٰيٰتِنَا فَكَانُوْا عَنْهَا مُعْرِضِيْنَ ﴿۸۱﴾
وَكَانُوْا يَنْحِتُوْنَ مِنَ الْجِبَالِ بُيُوْتًا اٰمِنِيْنَ ﴿۸۲﴾
فَاَخَذَتْهُمُ الصَّيْحَةُ مُصْبِحِيْنَ ﴿۸۳﴾ فَمَآ اَغْنٰى عَنْهُمْ مَّا
كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ﴿۸۴﴾ وَمَا خَلَقْنَا السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا

---

اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّلْمُؤْمِنِيْنَ پز پاٹھِ اتھ منز چھُو بوڈ نشانہ با ایمانن ہندِہ خیطرہ بوزنہ یوان وَاِنْ كَانَ اَصْحٰبُ الْاَيْكَةِ لَظٰلِمِيْنَ بیہ آسِ پزپاٹھِ کُلین تہ دُھپن تل روزہ ونِ، قوم شعیب سیٹھاہ ظالم تہ نافرمان فَانْتَقَمْنَا مِنْهُمْ وَاِنَّهُمَا لَبِاِمَامٍ مُّبِيْنٍ پس ہیوت اسہِ انتقام تِمن دوشونِ قومن۔ پزپاٹھِ تِم دوشوے قوم آسِ بسان ننہِ وَتہِ پیٹھ۔ صاف سڑکہِ پیٹھ۔ یپار مکہ شریفہ پیٹھ شام شریف لُوکھ گژھان آسِ۔ وَلَقَدْ كَذَّبَ اَصْحٰبُ الْحِجْرِ الْمُرْسَلِيْنَ پزپاٹھِ بیہ کور انکار حجرہ والیو تہِ پیغمبرن۔ سُو گو قومِ ثمود تِمن کُن حضرتِ صالح پیغمبر سوزنہ آمتِ آسِ۔ اکس پیغمبرس انکار کرُن گو سارنی پیغمبرن انکار کرُن۔ تِم آسِ بسان شہر حجرس منزیُس مدینہ منورس تہ شامِ شریفس درمیان واقع اوس وَاٰتَيْنٰهُمْ اٰيٰتِنَا فَكَانُوْا عَنْهَا مُعْرِضِيْنَ بیہ واتناوسہِ تِمن نشہِ تہ پنِن نشانہ تہ دلیلہ مگر تِمو پھیر تِمہِ دلیلہ وِچھتھ تہِ بُتھ کانہہ التفات کورُکھ نہ تِمن آیاتن کُن وَكَانُوْا يَنْحِتُوْنَ مِنَ الْجِبَالِ بُيُوْتًا اٰمِنِيْنَ تِم آسِ کوہن منز گُورتھِ گرہ بناوان تِمنی گرن منز آسِ امن وامانہ سان بسان فَاَخَذَتْهُمُ الصَّيْحَةُ مُصْبِحِيْنَ پس رٹِ تِم تہِ کریکہِ صبحکہ وقتہ فَمَآ اَغْنٰى عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ پس دیُت نہ کانہہ فایدہ تِمن تِمو مضبوط تہ محکم گرو۔ یم تِمِ بناوان تہ تیار کران آسِ وَمَا خَلَقْنَا السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَآ اِلَّا بِالْحَقِّ بیہ کرنہ اسہِ آسمان تہ زمین بیہ یہ تِمن دون منز چھُو پیدہ مصلحتہ بغیر بلکہ چھہ تِہندِس پیدہ کرنس اندر سیٹھاہ مصلحژہ یہِ گیہِ بڈ مصلحت کہ آسمان وزمین وِچھتھ کرن عقلہِ

بَيْنَهُمَآ اِلَّا بِالْحَقِّ ؕ وَاِنَّ السَّاعَةَ لَاٰتِيَةٌ فَاصْفَحِ الصَّفْحَ الْجَمِيْلَ ﴿۸۵﴾ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ الْخَلّٰقُ الْعَلِيْمُ ﴿۸۶﴾ وَلَقَدْ اٰتَيْنٰكَ سَبْعًا مِّنَ الْمَثَانِيْ وَالْقُرْاٰنَ الْعَظِيْمَ ﴿۸۷﴾ لَا تَمُدَّنَّ عَيْنَيْكَ اِلٰى مَا مَتَّعْنَا بِهٖٓ اَزْوَاجًا مِّنْهُمْ وَلَا تَحْزَنْ عَلَيْهِمْ وَاخْفِضْ جَنَاحَكَ لِلْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۸۸﴾ وَقُلْ اِنِّيْٓ اَنَا

---

وال استدلال اللہ تعالیٰ سندِس وجودس تہ عظمتس پیٹھ۔ یتھ لازِم چھو کہ تس خدایہ سنز شوبہ اطاعت کرنِ۔ یُس شخص اطاعت کرِہ تس، تس اِیہِ اجر واِنعام عطا کرنہ۔ یُس نہ اطاعت کرِہ تس تسندِہ خیطرہ چھُو عذاب سو عذاب ییہِ نہ دُنیاءس اندر کرنہ۔ سُو ایہِ قیامتُک دوہ کرنہ وَاِنَّ السَّاعَةَ لَاٰتِيَةٌ سو قیامت چھ ضرور اِوہ ونِ تتھ منزایہِ نافرمانن سزادِنہ۔ فَاصْفَحِ الصَّفْحَ الْجَمِيْلَ لہٰذا مہ کھیو تُہہ کانہہ غم۔ بلکہ کرو نہایت خوبی سان تہندین شرارتن عفو، درگذر اِنَّ رَبَّكَ هُوَ الْخَلّٰقُ الْعَلِيْمُ پزِ پاٹھِ تُہند پروردگار چھُو بوڑ پیدہ کرہ وُن۔ سُو چھُو سورُوی زانہ وُن سارنی ہُند حال چھُوس معلُوم۔ تہندہ صبرُک تہ تہندین شرارتن ہُندتہِ۔ لہٰذا ہیہ سُو تمن نشہِ پورہ پورہ بدلہ تُہہ مہ وچھو تہندِس مُعاملس کُن کہِ سُو چھُو سپدان توہہِ موجبِ غم تہٕ وچھِو سائنس مُعاملس کُن کہ اَسہِ کمہِ قسمہ چھہِ توہہِ سیت لطف و مہربانی ہند معاملہ کران۔ چنانچہ وَلَقَدْ اٰتَيْنٰكَ سَبْعًا مِّنَ الْمَثَانِيْ وَالْقُرْاٰنَ الْعَظِيْمَ پزِ پاٹھِ اسہِ کِر عطا توہہِ سَت آیہ کریمہ۔ ییہ قرآن عظیم ہم ست آیہ پھیرِ پھیرِ چھہِ یِوان پرنہ پریتھ نمازِہ اندر۔ ییہِ سورہ فاتحہ چھُو جامع بڈین بڈین مضمُونن۔ تمہِ وجہہ چھُو یتھ قابِل کہ اَتھ ییہِ ونہ قرآن عظیم یتھ بوجہہ عظمت اُم القران لقب چھُو۔ لہٰذا اتھاوِ وتُہہ نظر یہ نعمت عطا کرہِ ونس کُن تہ اَتھ نعمتس کُن، تہِ سپدہ توہہِ فرحت وسرورُک باعِث۔ لُوکن ہندِس عنادس تہ مخالفتس کُن مہ کرو تُہہ التفات۔ لَا تَمُدَّنَّ عَيْنَيْكَ اِلٰى مَا مَتَّعْنَا بِهٖٓ اَزْوَاجًا مِّنْهُمْ وَلَا تَحْزَنْ عَلَيْهِمْ وَاخْفِضْ جَنَاحَكَ لِلْمُؤْمِنِيْنَ مہ حض زیٹھ راوِو نظر پَتن تتھ مالِ دُنیاءس کُن یمہِ سیت تمتع تلہ ناوِاَس یمو کافِر واَندرہ بعضی لُوکھ۔ ییہِ مہ گھیوِ یہند غم۔ ییہِ تراوِو بون بازوِ

الْنَّذِيْرُ الْمُبِيْنُ ﴿۸۹﴾ كَمَآ اَنْزَلْنَا عَلَى الْمُقْتَسِمِيْنَ ﴿۹۰﴾ الَّذِيْنَ جَعَلُوا الْقُرْاٰنَ عِضِيْنَ ﴿۹۱﴾ فَوَرَبِّكَ لَنَسْـَٔلَنَّهُمْ اَجْمَعِيْنَ ﴿۹۲﴾ عَمَّا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿۹۳﴾ فَاصْدَعْ بِمَا تُؤْمَرُ وَاَعْرِضْ عَنِ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿۹۴﴾ اِنَّا كَفَيْنٰكَ الْمُسْتَهْزِءِيْنَ ﴿۹۵﴾ الَّذِيْنَ يَجْعَلُوْنَ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ فَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ ﴿۹۶﴾ وَلَقَدْ نَعْلَمُ

---

مُبارک پُٺن با ايمانن هنده خيطره۔ يعني تمن آسو پيش يوان بتواضع ته نرمی وَقُلْ اِنِّیْٓ اَنَا النَّذِيْرُ الْمُبِيْنُ بيه آسو فرماوان پزِپاڻهِ به ڇهُوس ٽن پاڻهِ خدلیہ سندہ عذابگ بیم کرہؤن توہہ سارِنی كَمَآ اَنْزَلْنَا عَلَى الْمُقْتَسِمِيْنَ * الَّذِيْنَ جَعَلُوا الْقُرْاٰنَ عِضِيْنَ اَسہِ کور نازِل توہہِ پیٹھ یہ قرآن مجید۔ یتھ پاڻهِ اَسہِ یُهودو نصاریٰ ان پیٹھ کتاب نازِل کریمو تمن کتابن پارہ پارہ کور۔ یہ خوش اوسکھ کران تہِ آس تھوان۔ یہ نہ خوش اوسُھ کران تہِ آسِ کڈان۔ فَوَرَبِّكَ لَنَسْـَٔلَنَّهُمْ اَجْمَعِيْنَ * عَمَّا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ پَس ڇهُو قسم تهندِس پروردگارہ سُند ضرور پرژھوأسِ تمن قیامتک دوہ تمہِ سارِنٛوی یہ تم کران آسِ توپتہ دِمَو پریتھ اَکس سزا۔ فَاصْدَعْ بِمَا تُؤْمَرُ وَاَعْرِضْ عَنِ الْمُشْرِكِيْنَ پَس ٽن پاڻهِ واتناوِو تُهہ تمِ احکام یمن هُند توہہِ حُکم ڇهُویوان کرنہ روِی مُبارک پھِرِو مُشرکن نِشہِ۔ تمن هندمہ کرو کانہہ پروای اِنَّا كَفَيْنٰكَ الْمُسْتَهْزِءِيْنَ اَسِ کرووہ توہہ کفایت ٹھٹھہ کران والین هُند شر دفع کرنہ خیطرہ الَّذِيْنَ يَجْعَلُوْنَ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ فَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ تِمِ معبود برحقس سیتِ برابر ڇهِ تھاوان بین باطِل معبُودن۔ پس عنقریب زانن تمِ امیک نتیجہ۔ وَلَقَدْ نَعْلَمُ اَنَّكَ يَضِيْقُ صَدْرُكَ بِمَا يَقُوْلُوْنَ بتحقیق اَسِ ڇهِ زانان کہ پزِپاڻهِ تهند دِل ڇهُو تنگ سپدان تمو کتھو سیتِ یمہ تمِ دُشمن وَنان ڇهِ تمیک علاج

أَنَّكَ يَضِيقُ صَدْرُكَ بِمَا يَقُولُونَ ﴿٩٧﴾ فَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ وَكُن مِّنَ السَّاجِدِينَ ﴿٩٨﴾ وَاعْبُدْ رَبَّكَ حَتَّىٰ يَأْتِيَكَ الْيَقِينُ ﴿٩٩﴾

---

چھُو فَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ وَكُن مِّنَ السَّاجِدِينَ پَس مہ بَرِ و تمیک تہٕ کانہہ پروا۔ تُہہ کَرِو خدایس سُند یاد۔ بپاکی کرو تہندِ صِفت بیان۔ بیہ آسو تُمس سجدہ دِنہ والیو اَندرہ وَاعْبُدْ رَبَّكَ حَتَّىٰ يَأْتِيَكَ الْيَقِينُ بیہ کرو پننہ نِس پروردگارہ سنزی عِبادت یو تتان واتہِ توہہ نِش یقینی کتھ یعنی مُوت مرنہ کسِ وقس تانِ کرو خدایہ سنز عبادت۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ○

اَتٰۤی اَمْرُ اللّٰهِ فَلَا تَسْتَعْجِلُوْهُ ؕ سُبْحٰنَهٗ وَ تَعٰلٰی عَمَّا یُشْرِكُوْنَ ① یُنَزِّلُ الْمَلٰٓىِٕكَةَ بِالرُّوْحِ مِنْ اَمْرِهٖ عَلٰی مَنْ یَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖۤ اَنْ اَنْذِرُوْۤا اَنَّهٗ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّاۤ اَنَا فَاتَّقُوْنِ ② خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضَ بِالْحَقِّ ؕ تَعٰلٰی عَمَّا یُشْرِكُوْنَ ③ خَلَقَ الْاِنْسَانَ مِنْ نُّطْفَةٍ فَاِذَا هُوَ خَصِیْمٌ مُّبِیْنٌ ④ وَ الْاَنْعَامَ

---

**اَتٰۤی اَمْرُ اللّٰهِ فَلَا تَسْتَعْجِلُوْهُ** خدایہِ سُند حُکم آو یعنی شرک و کفرکہِ سزاد نک مُوقعہ وُوت نزدیک۔ اے کافرو تُہہ مہ کرِو تتھ آندر جلدی۔ سو سپدِہ واقع پنہ نِس وقتس پیٹھ۔ یُس چیز اِوہ وُن چھو سوزن آو۔ لہٰذا ای کافرو تُہہ مہ ژھانڈو اتھ منز جلدی **سُبْحٰنَهٗ وَ تَعٰلٰی عَمَّا یُشْرِكُوْنَ** مُنزہ تہ پاک، بالا و برتر چھُو اللہ تعالیٰ تمو سارِوی شریکو نشہِ یِم تِس مُشرِک ٹھراوان چھِہ تہندِس کُنہِ حُکمس ہیکن نہ تمِ شریک بدل کرتھ۔ **یُنَزِّلُ الْمَلٰٓىِٕكَةَ بِالرُّوْحِ مِنْ اَمْرِهٖ عَلٰی مَنْ یَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖۤ اَنْ اَنْذِرُوْۤا اَنَّهٗ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّاۤ اَنَا فَاتَّقُوْنِ** سوزان چھُو سُو پروردگار ملائکن وحی ہیتھ، پننہِ حُکم سیتِ یُس پیٹھ یژھان چھُو سُو پننہ نیو بندو اَندرہ یعنی انبیاءَ و اَندرہ ای زِہ تُہہ کرِو بیم لُوکن بیہِ بوزہ ناویو کہ کانہہ معبُود اہ چھُو نہ مہِ ورای یُس کُھو ژومی یُوت۔ پرستش مہِ کرِو مہِ ورای کانسہِ ہنز **خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضَ بِالْحَقِّ تَعٰلٰی عَمَّا یُشْرِكُوْنَ** تمی کر پیدہ آسمان تہ زمین پزِ پاٹھِ سیٹھاہ بالا و برتر چھُو سُو تمو سارِوی چیزو نشہِ یِم تِس شریک ٹھراوان چھہ لُوکھ **خَلَقَ الْاِنْسَانَ مِنْ نُّطْفَةٍ فَاِذَا هُوَ خَصِیْمٌ مُّبِیْنٌ** تمی کر پیدہ انسان حضرتِ آدمس پتہ منی ہندس آبہ قطرس اکس یُس چھُو یُہے اِنسان زِن پاٹھِ مُقابلہ کران یعنی بعضی انسان

خَلَقَهَا لَكُمْ فِيهَا دِفْءٌ وَّمَنَافِعُ وَمِنْهَا تَأْكُلُونَ ﴿٥﴾ وَلَكُمْ فِيهَا جَمَالٌ حِينَ تُرِيحُونَ وَحِينَ تَسْرَحُونَ ﴿٦﴾ وَتَحْمِلُ أَثْقَالَكُمْ إِلَىٰ بَلَدٍ لَّمْ تَكُونُوا بَالِغِيهِ إِلَّا بِشِقِّ الْأَنفُسِ ۚ إِنَّ رَبَّكُمْ لَرَءُوفٌ رَّحِيمٌ ﴿٧﴾ وَالْخَيْلَ وَالْبِغَالَ وَالْحَمِيرَ لِتَرْكَبُوهَا وَزِينَةً ۚ وَيَخْلُقُ مَا لَا تَعْلَمُونَ ﴿٨﴾ وَعَلَى اللَّهِ قَصْدُ السَّبِيلِ وَمِنْهَا جَائِرٌ ۚ وَلَوْ شَاءَ لَهَدَاكُمْ

---

چھہ امہِ قسمک غرض چھوکہِ سانہِ طرفہ چھہِ انسانس یمہ یمہ نعمژ، تمسندہ طرفہ چھہ اتھ مُقابلہ ناشُکری تہ ناسُپاسی وَالْأَنْعَامَ خَلَقَهَا لَكُمْ فِيهَا دِفْءٌ وَّمَنَافِعُ وَمِنْهَا تَأْكُلُونَ بیہ کرِ تمی پیدہ چارپا، وَونٹھ، گُپن تہ تیر تُہندہ خیطرہ ای انسانو تمنی منز تھاوِن تہندہ وشنیر کرنکِ سامان وندک۔ییر، یتھ گرم لباس ژادرہ تہ کملہ بناوان چھوہ، بیہ چھہِ تمن منز واریاہ فائدٕ۔ دودھ تہ سواری۔ بیہ چھوہ تموی منزہ بعضِین ہُند ماز کھیوان وَلَكُمْ فِيهَا جَمَالٌ حِينَ تُرِيحُونَ وَحِينَ تَسْرَحُونَ بیہ چھو تُہندِہ خیطرہ تمن منز زینت تہ عزت۔ یمہ ساتہِ تُہہ شامکہِ وقتہ تمِ گاسہ کھیتھ واپس انان چھوکھ بیہ یمہ ساتہ صُبحس گرواندرہ گاسہ کھینہ خیطرہ کڈان چھوکھ وَتَحْمِلُ أَثْقَالَكُمْ إِلَىٰ بَلَدٍ لَّمْ تَكُونُوا بَالِغِيهِ إِلَّا بِشِقِّ الْأَنفُسِ بیہ چھہِ تمِ تُلان تُہند بور۔ توپتہ واتناوان تمن شہرن تمن تُہہ ہیکہِ ہوِنہ تمِ بارواتناوِتھ مگر پنہ نین پانن زُون سیٹھاہ مشقت واتناوِ تھ إِنَّ رَبَّكُمْ لَرَءُوفٌ رَّحِيمٌ بیشک پروردگار تُہند چھو سیٹھاہ مہربان تہ رحم کرہ وُن۔ تہندہ آرامہ خیطرہ کم کم چیز کرِن پیدہ وَالْخَيْلَ وَالْبِغَالَ وَالْحَمِيرَ لِتَرْكَبُوهَا وَزِينَةً وَيَخْلُقُ مَا لَا تَعْلَمُونَ بیہ کرِ تمی پیدہ گُرِ کاترتہ گھر، یتھ سوار سپدِو۔ بیہ چھو تمن منز تُہندِہ خیطرہ عزّت تہ شان۔ بیہ کرِہ سُو پیدہ قیاس تان کھسنہ خیطرہ تمہ تمہ سوارہ یمہ نہ تو ہہ معلومی چھہ۔ یمہ سواریہ گیہ دنیاء کین مطلبن تانِ واتنہ خیطرہ۔ یہ گوبدنی تہ جسی سفر طے کرنک سامان۔ امہِ پتہ فرماوُاللہ تعالیٰ اَن روحانی تہ معنوی سیرچ ذکر وَعَلَى اللَّهِ قَصْدُ السَّبِيلِ پتمو برو نتھمیو دلیلو سیتِ

أَجْمَعِيْنَ ﴿٩﴾ هُوَ الَّذِيْٓ اَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً لَّكُمْ مِّنْهُ
شَرَابٌ وَّمِنْهُ شَجَرٌ فِيْهِ تُسِيْمُوْنَ ﴿١٠﴾ يُنْۢبِتُ لَكُمْ بِهِ
الزَّرْعَ وَالزَّيْتُوْنَ وَالنَّخِيْلَ وَالْاَعْنَابَ وَمِنْ كُلِّ
الثَّمَرٰتِ ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ ﴿١١﴾ وَسَخَّرَ
لَكُمُ الَّيْلَ وَالنَّهَارَ ۙ وَالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ ؕ وَالنُّجُوْمُ
مُسَخَّرٰتٌۢ بِاَمْرِهٖ ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ ﴿١٢﴾

---

يو سه سيز وَ ته ثابتِ پڇه سپدان سوگيه سو وَ ته يو سه الله تعالىٰ اس نش واتج وَ ته آسه۔ وَمِنْهَا جَآئِرٌ و تو
اندره ڇه بعضي وته بجه وته۔ اڈلو که ڇهِ سيز ه وَته پيڇه پڇه خدا ئس نشهِ واتان۔ اڈِ ڇهِ بجو وَ تو پكان تو پته
ڇهنه تم گن تهِ واتان تم ڇهِ دڇهن ته كهو فربالن ته ڇهنبن ڈله گرڈهان وَلَوْ شَآءَ لَهَدٰىكُمْ اَجْمَعِيْنَ بيهِ
هرگاه الله تعالىٰ يزڈهِ ہاسُو ہاوِہ ہا توہمہ سارنی سيز وته مگر سُو ڇهو تمسي سيز وَ ته ہاوان ئيس تميك طالب
آسهِ هُوَ الَّذِيْٓ اَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً لَّكُمْ مِّنْهُ شَرَابٌ وَّمِنْهُ شَجَرٌ فِيْهِ تُسِيْمُوْنَ سُو پروردگار گو
سُوی تم تهندهِ فائده خيطره آسمانجهِ طرفه رُودتروو تمی منزه ڇهوه تهه تريش ڇوان۔ بيهِ ڇهو تمی سيتِ
گاسه تهِ گُل كهسان تته منز ڇهو كه تهه چارپائين گاسه كهينه خيطره تراوان يُنْۢبِتُ لَكُمْ بِهِ الزَّرْعَ
وَالزَّيْتُوْنَ وَالنَّخِيْلَ وَالْاَعْنَابَ وَمِنْ كُلِّ الثَّمَرٰتِ كهاران ڇهو الله تعالىٰ تمی رُوده سيتِ تهنده
خيطره زِراعت بيهِ درختِ زيتون بيهِ خضر كُلِ بيهِ دَڇهِ كُل۔ بيهِ ساری ميوه جات تمِ دُنياءس اندر پيده
سپدان ڇهِ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ پزپاڈهِ اته منز ڇهه بجهِ بجهِ دليله توحيد ڇهِ فكرهِ والين
هندهِ خيطره وَسَخَّرَ لَكُمُ الَّيْلَ وَالنَّهَارَ وَالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ بيهِ كر الله تعالىٰ ان تهندهِ آرام و آسايشهِ
خيطره دوه ته رات، آفتاب ته زون مسخر قدرت وَالنُّجُوْمُ مُسَخَّرٰتٌۢ بِاَمْرِهٖ ڇهه باقی ستاره تهِ
تهندی حكمه مسخر قدرت تم چيز ته تمِ تهنده فائده خيطره پئيده كرن تمام روی زمينس اندر تم چيز بيهِ ڇهِ
تته پاڈهِ كه تمن هندِ اقسام ڇهه بيون بيون اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ پزپاٹِ عقلهِ والين هنده

وَمَا ذَرَاَ لَكُمۡ فِى الۡاَرۡضِ مُخۡتَلِفًا اَلۡوَانُهٗ ؕ اِنَّ فِىۡ ذٰ لِكَ لَاٰيَةً لِّقَوۡمٍ يَّذَّكَّرُوۡنَ ﴿۱۳﴾ وَهُوَ الَّذِىۡ سَخَّرَ الۡبَحۡرَ لِتَاۡكُلُوۡا مِنۡهُ لَحۡمًا طَرِيًّا وَّتَسۡتَخۡرِجُوۡا مِنۡهُ حِلۡيَةً تَلۡبَسُوۡنَهَا ۚ وَتَرَى الۡفُلۡكَ مَوَاخِرَ فِيۡهِ وَلِتَبۡتَغُوۡا مِنۡ فَضۡلِهٖ وَلَعَلَّكُمۡ تَشۡكُرُوۡنَ ﴿۱۴﴾ وَاَلۡقٰى فِى الۡاَرۡضِ رَوَاسِىَ اَنۡ تَمِيۡدَ بِكُمۡ وَاَنۡهٰرًا وَّسُبُلًا

---

وَمَا ذَرَاَ لَكُمۡ فِى الۡاَرۡضِ مُخۡتَلِفًا اَلۡوَانُهٗ ؕ خداین سندہ توحید چہ بجہ دلیلہ خیطرہ چھہ یمن چیزن اندر خداین سندہ توحید چہ بجہ دلیلہ یتھے پاٹھِ کرِن مُسخر تمِ چیزتہِ یمِ تہندِہ فائدہ خیطرہ پیدہ کرن تمام رُویِ زمینس اَندر تمِ چیز چھہِ تتھِ پاٹھِ کہ تمن ہندرنگ چھہِ بیون بیون اِنَّ فِىۡ ذٰ لِكَ لَاٰيَةً لِّقَوۡمٍ يَّذَّكَّرُوۡنَ یِمہ پاٹھِ اتھ منزتہِ چھہ بجہِ دلیلہ خداین سندہ توحیدِ چہ نصیحت رٹہ وَنین ہندِہ خیطرہ۔ وَهُوَ الَّذِىۡ سَخَّرَ الۡبَحۡرَ لِتَاۡكُلُوۡا مِنۡهُ لَحۡمًا طَرِيًّا وَّتَسۡتَخۡرِجُوۡا مِنۡهُ حِلۡيَةً تَلۡبَسُوۡنَهَا بیہِ گوسُو پروردگار سُوی یم دریاوتہ سمندرکرمُسخر قدرت یُتھ تہٕ کھیو تمہِ منزہ کڈتھ گاڈن ہُند تازہ تازہ ماز بیہِ یتھ کڈِو تُہہ تمہِ سمندرہ منزہ گہنگِ تہ زینتک چیز لعل وجواہر تہ محتہ۔ یُس تہٕ ساری مرد تہ زنانہ لاگان چھوہ زینتہ خیطرہ وَتَرَى الۡفُلۡكَ مَوَاخِرَ فِيۡهِ بیہِ چھو دریاون ہُند فائدہ یہ تہِ کہ ژہ چھِہک وچھان اے مخاطِب ناوہ لوکچِہ تہِ بجہِ تہ، بلکہ بڈِبڈِ جہازاَتھ سمندرس منز آبس ژٹان پکان وَلِتَبۡتَغُوۡا مِنۡ فَضۡلِهٖ وَلَعَلَّكُمۡ تَشۡكُرُوۡنَ بیہِ کرِن دریا مُسخر قدرت یُتھ تہٕ تمن سمندرن تہ دریاون اندر مال تجارت ہتھ سفر کرِتھ خدایہِ سُند رزق تلاش کرِو۔ بیہِ یتھ یمِ ساری فائدہ زیرِ نظر اَنتھ کرِو تہنز شُکر گذاری وَاَلۡقٰى فِى الۡاَرۡضِ رَوَاسِىَ بیہِ تھاوِ اللہ تعالیٰ اَن زمینس پیٹھ بڈکوہ اَنۡ تَمِيۡدَ بِكُمۡ یُتھ نہ سوزمین توہہِ پانس پیٹھ تُلِتھ ووتل بجہ گرِہ، اورِہ یُورڈلہِ وَاَنۡهٰرًا وَّسُبُلًا لَّعَلَّكُمۡ تَهۡتَدُوۡنَ بیہِ کرِین جاری اَتھ زمینس منز کولہ تہ جو یہ۔ بیہ گجن اتھ زمینس منزوتہ سڑکہ یُتھ تہٕ تموو تو پکتھ مقصدس واتان آسوِ

لَعَلَّكُمْ تَهْتَدُوْنَ ﴿۱۵﴾ وَعَلٰمٰتٍ ؕ وَبِالنَّجْمِ هُمْ يَهْتَدُوْنَ ﴿۱۶﴾ اَفَمَنْ يَّخْلُقُ كَمَنْ لَّا يَخْلُقُ ؕ اَفَلَا تَذَكَّرُوْنَ ﴿۱۷﴾ وَاِنْ تَعُدُّوْا نِعْمَةَ اللّٰهِ لَا تُحْصُوْهَا ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَغَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿۱۸﴾ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا تُسِرُّوْنَ وَمَا تُعْلِنُوْنَ ﴿۱۹﴾ وَالَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ لَا يَخْلُقُوْنَ شَيْـًٔا وَّهُمْ يُخْلَقُوْنَ ﴿۲۰﴾ ؕ اَمْوَاتٌ غَيْرُ اَحْيَآءٍ ۚ وَمَا يَشْعُرُوْنَ ۙ

---

وَعَلٰمٰتٍ وَبِالنَّجْمِ هُمْ يَهْتَدُوْنَ بیہِ کرِ اللہ تعالیٰ ان تمہِ وَتہ پرزہ ناونہ خیطرہ واریاہ نشانہ قایم مسافرن ہندِہ پکنہ خیطرہ تِمو نشانو سیتِ وتھ لبنہ یوان چھہ۔ بیہِ چھہِ سِتارو سیتِ تہِ لوکھ وتھ لبان۔ تمِ ییت چیز کرِ پیدہ اللہ تعالیٰ ان اَفَمَنْ يَّخْلُقُ كَمَنْ لَّا يَخْلُقُ اَفَلَا تَذَكَّرُوْنَ وۄن وَنتوِ تُہی یس ذاتِ پاک تمِ تِم چیز پیدہ کرہ ۄن چھو سُو لگیا برابر تھاۄن تمِن سیت یم نہ کُنہِ چیزس ہیکن پیدہ کرِتھ۔ کونہ چھوہ تِمے کتھ ژیتس پاوِت لس ایمان انان تہ پڑھ کران۔ تمسی پُن معبود زانتھ عبادت تہ بندگی کران۔ یرِژے یاژہ چھنہ لس معبود برحقہ سنز نعمژ وَاِنْ تَعُدُّوْا نِعْمَةَ اللّٰهِ لَا تُحْصُوْهَا ہر گہے تُہہ شمار ہیوِ کرنہِ خدایہِ سنزہ نعمژ ہرگز ہیکو نہ شُمار کرتھ۔ ادہ چھنہ کتھے تمِن نعمژن ہنز شکر گذاری کرِتھ۔ مُشرِک چھنہ نعمژن ہُند شکر دیان نعمژن ہنز قدر زانان۔ یہِ جُرم اوس تیوت بوڈ یُس نہ کُنہِ صورتس منز معاف ہیکہِ ہاسپدِ تھ۔ اتھ جُرمس پیٹھ اصرار کرنہ سیت گژھ تمِ سارِوی نعمژ ونشہِ مُحروم سپدنِ مگر اِنَّ اللّٰهَ لَغَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ پزپاٹھ اللہ تعالیٰ چھو سیٹھاہ مغفرت کرہ ۄن مہربان ہر گاہ کانہہ شخص شرِکہ نشہِ توبہ گرِہ لس چھو اللہ تعالیٰ مغفرت کران۔ ہر گاہ ئے توبہ کرِہ توتہِ چھو اللہ تعالیٰ لس مرنس تام نعمژ عطا کران وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا تُسِرُّوْنَ وَمَا تُعْلِنُوْنَ اللہ تعالیٰ چھو زانان تہِ سورُوی یہِ تُہہ پوشیدہ پاٹھ چھوہ کران وَالَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ لَا يَخْلُقُوْنَ شَيْـًٔا وَّهُمْ يُخْلَقُوْنَ بیہِ تمِ لوکھ عبادت چھہِ کران خدایس ورای بین باطِل معبودن ہنز تمِ نہ کانہہ چیزہ پیدہ ہیکان چھہِ کرِتھ بلکہ چھہِ تمِ پانہ آسان بناونہ آمتِ، تیار کرنہ آمتِ، گرنہ آمتِ، کنوِ، ہِچو یا بیہِ کُنہِ چیزکِ۔ قاعدہ کلیہ چھو کہ خالق تہ غیر خالق ہرگز مساوی تہ برابر

أَيَّانَ يُبْعَثُونَ ﴿٢١﴾ إِلَٰهُكُمْ إِلَٰهٌ وَاحِدٌ ۚ فَالَّذِينَ لَا يُؤْمِنُونَ
بِالْآخِرَةِ قُلُوبُهُم مُّنكِرَةٌ وَهُم مُّسْتَكْبِرُونَ ﴿٢٢﴾ لَا جَرَمَ أَنَّ
اللَّهَ يَعْلَمُ مَا يُسِرُّونَ وَمَا يُعْلِنُونَ ۚ إِنَّهُ لَا يُحِبُّ الْمُسْتَكْبِرِينَ ﴿٢٣﴾
وَإِذَا قِيلَ لَهُم مَّاذَا أَنزَلَ رَبُّكُمْ ۙ قَالُوا أَسَاطِيرُ
الْأَوَّلِينَ ﴿٢٤﴾ لِيَحْمِلُوا أَوْزَارَهُمْ كَامِلَةً يَوْمَ الْقِيَامَةِ ۙ
وَمِنْ أَوْزَارِ الَّذِينَ يُضِلُّونَهُم بِغَيْرِ عِلْمٍ ۗ أَلَا سَاءَ مَا

---

ڇِهنه أَمْوَاتٌ غَيْرُ أَحْيَاءٍ تنهِ علاوه ڇهِ معبودان باطل مرده بي جان چيز وَمَا يَشْعُرُونَ أَيَّانَ يُبْعَثُونَ بيهِ ڇهنه تِمن خبرے کہِ کِمهِ وقتهِ ينِ لوکه دوباره بيهِ زنده کرنه معبودِ برحق گوسوی يُس خالق تهِ ڇهو زِنده تهِ ڇهو عالم الغيب تهِ ڇهوسوی ڇهو إِلَٰهُكُمْ إِلَٰهٌ وَاحِدٌ تهند معبودِ برحق۔ معبودِ برحقاه تس هُيو بيهِ کانهه ڇهونه ذاتس اندر نه صفتن اندر فَالَّذِينَ لَا يُؤْمِنُونَ بِالْآخِرَةِ قُلُوبُهُم مُّنكِرَةٌ وَهُم مُّسْتَكْبِرُونَ پَس يم لوکه ايثر وضاحت کرِ تھ تهِ پژھ ڇهنه کران آخرتَس، معلوم سپد تهندِ دِل ڇهو توحيدس اِنکار کران۔ بيهِ سُپد معلوم کہ تِم ڇهِ قياتس ايمان اننه نشهِ تکبر کران لَا جَرَمَ أَنَّ اللَّهَ يَعْلَمُ مَا يُسِرُّونَ وَمَا يُعْلِنُونَ ضروری کتھ ڇهِ يہِ کہِ پزپاٹھِ الله تعالیٰ ڇهو زانان تهِ سورُوی يهِ تِم پوشيده کران ڇهِ۔ بيهِ يهِ تِم نن پاٹھِ کران ڇهِ إِنَّهُ لَا يُحِبُّ الْمُسْتَكْبِرِينَ پزپاٹھِ الله تعالیٰ ڇهونه پسند کران تکبر کره وِنين يم توحيده نشهِ تهِ تصديق رسالته نشهِ ڇهِ تکبر کران۔ يلهِ تهند تکبر کرن معلوم سپد، سيتی سپد يهِ تهِ معلوم کہِ تِم ڇهِ خدايس ناپسند۔ لهٰذا يهِ سو تِمن ضرور سزا وَإِذَا قِيلَ لَهُم مَّاذَا أَنزَلَ رَبُّكُمْ قَالُوا أَسَاطِيرُ الْأَوَّلِينَ بيهِ يلهِ وننه يوان ڇهو تِمن کہ کياه کرنازِل تهند پروردگارن، دَپان ڇهِ تِم يهِ کتهِ ڇهو خدايهِ سندِه طرفه سوزنه آمُت۔ يهِ ڇهِ محض بے سند کتھ يمهِ برونٹھِمين نشهِ نقل کرنه يوان ڇھ لِيَحْمِلُوا أَوْزَارَهُمْ كَامِلَةً يَوْمَ الْقِيَامَةِ نتيجه يهِ وَنه نُک آسهِ کہ يمن لوکن آسهِ تُلن پنه نين گنهن هُند بور قيامتُک دوه پور پور وَمِنْ أَوْزَارِ الَّذِينَ يُضِلُّونَهُم بِغَيْرِ عِلْمٍ بيهِ تِمن لوکن هندين

يَزِرُونَ ﴿٢٥﴾ قَدْ مَكَرَ الَّذِينَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَأَتَى
اللَّهُ بُنْيَانَهُمْ مِّنَ الْقَوَاعِدِ فَخَرَّ عَلَيْهِمُ السَّقْفُ مِنْ
فَوْقِهِمْ وَأَتَاهُمُ الْعَذَابُ مِنْ حَيْثُ لَا يَشْعُرُونَ ﴿٢٦﴾
ثُمَّ يَوْمَ الْقِيَامَةِ يُخْزِيهِمْ وَيَقُولُ أَيْنَ شُرَكَاءِيَ الَّذِينَ
كُنْتُمْ تُشَاقُّونَ فِيهِمْ قَالَ الَّذِينَ أُوتُوا الْعِلْمَ إِنَّ الْخِزْيَ
الْيَوْمَ وَالسُّوءَ عَلَى الْكَافِرِينَ ﴿٢٧﴾ الَّذِينَ تَتَوَفَّاهُمُ الْمَلَائِكَةُ
ظَالِمِي أَنْفُسِهِمْ فَأَلْقَوُا السَّلَمَ مَا كُنَّا نَعْمَلُ مِنْ سُوءٍ بَلَى إِنَّ

---

گُنہن ہُند بور، یم گمراہ کران آسِ علمہ ورای اَلَا سَآءَ مَا یَزِرُوْنَ وارہ چھوہ بوزان سیٹھاہ بچھ چھو سو
بورُیس یمِ تُلن قَدْ مَكَرَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَاَتَى اللّٰهُ بُنْيَانَهُمْ مِّنَ الْقَوَاعِدِ پزٕ پاٹھ فند
تہ تدبیر کر خدایس خِلاف تمو لُوکو یم تِمن برونٹھ آسِ پس ووت خدایہ سُند عذاب تہنزٕن لرین
ہندین کنٕن تل فَخَرَّ عَلَيْهِمُ السَّقْفُ مِنْ فَوْقِهِمْ تو پتہ پیوو وَستھ تمن لرِہ ہُند پَش پیٹھ کنِ وَاَتٰهُمُ
الْعَذَابُ مِنْ حَيْثُ لَا يَشْعُرُوْنَ بیہِ ووت تمن عذاب تتھِ یُتھنہ تمن فکری ترِہ یہِ حالت گیہ تہندِہ
عذابچ دُنیاءس اندر ثُمَّ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ يُخْزِيْهِمْ وَيَقُوْلُ اَيْنَ شُرَكَآءِيَ الَّذِيْنَ كُنْتُمْ تُشَآقُّوْنَ فِيْهِمْ تو
پتہ کریکھ خوار وذلیل اللہ تعالیٰ قیامتک دوہ۔ بیہِ دپیکھ کتہِ چھوہ تمِ معبودان باطل یہندِہ خیطرٕہ لڑایہ آسوِ
کران قَالَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ اِنَّ الْخِزْيَ الْيَوْمَ وَالسُّوْٓءَ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ ونن تمہِ ساتہ زانن والِ تہ عالمِ پزٕ
پاٹھ خواری تہ بچھ عذاب چھو از کافرن تہ نافرمانن پیٹھ الَّذِيْنَ تَتَوَفّٰىهُمُ الْمَلٰٓئِكَةُ ظَالِمِيْٓ اَنْفُسِهِمْ
تِمن زُو کوڈ ملایکو یتھ حالَس اندر کہِ تمِ آسِ پانِ پانَس ظُلم کرہ ونِ فَاَلْقَوُا السَّلَمَ پس پیش کرن تمِ تمہِ
ساتہ صُلح کتھ بیہِ دپن مَا كُنَّا نَعْمَلُ مِنْ سُوْٓءٍ اسِ آس نہ کانہہ بچھ کو ماہ کران ملایک ونہ نکھ بَلٰٓى اِنَّ اللّٰهَ
عَلِيْمٌۢ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ یہ کتھ چھنہ یُوسہ تُہہ ونان چھو پزٕ پاٹھ اللہ تعالیٰ چھو پور زانان تہِ سورُوی یہ تُہہ

إِنَّ اللَّهَ عَلِيمٌ بِمَا كُنتُمْ تَعْمَلُونَ ﴿٢٨﴾ فَادْخُلُوا أَبْوَابَ جَهَنَّمَ
خَالِدِينَ فِيهَا ۖ فَلَبِئْسَ مَثْوَى الْمُتَكَبِّرِينَ ﴿٢٩﴾ وَقِيلَ لِلَّذِينَ
اتَّقَوْا مَاذَا أَنزَلَ رَبُّكُمْ ۚ قَالُوا خَيْرًا ۗ لِّلَّذِينَ أَحْسَنُوا فِي
هَٰذِهِ الدُّنْيَا حَسَنَةٌ ۚ وَلَدَارُ الْآخِرَةِ خَيْرٌ ۚ وَلَنِعْمَ دَارُ الْمُتَّقِينَ ﴿٣٠﴾
جَنَّاتُ عَدْنٍ يَدْخُلُونَهَا تَجْرِي مِن تَحْتِهَا الْأَنْهَارُ ۖ لَهُمْ فِيهَا
مَا يَشَاءُونَ ۚ كَذَٰلِكَ يَجْزِي اللَّهُ الْمُتَّقِينَ ﴿٣١﴾ الَّذِينَ تَتَوَفَّاهُمُ

---

كران آسوهِ۔ سو ديهِ پاڻي تي مزور تو هه وننه ييکهِ فَادْخُلُوا أَبْوَابَ جَهَنَّمَ خَالِدِينَ فِيهَا اڙو جهنمه کيو دروازو کن جهنمس اندر هميشه ڇهو اَتِ روزُن فَلَبِئْسَ مَثْوَى الْمُتَكَبِّرِينَ پس کاڙاه يچهه جاي ڇهه يهِ مُتکبرن هندهِ خيطره۔ يهِ گو عذابِ آخرت۔ حاصِل ڇهو يمن آياتن هُند که اي لُو کو تهه بوزِوه برو ٿهمن کافرن هندهِ عذابُک حال۔ يتهِ پاڻهِ يُس اکهاه دين حقس مقابله کرهِ، مکرو فريب کره يتهه پاڻهِ تهه کران ڇهوه۔ بيهِ ڇهو تهه لُوکه گمراه کران۔ لهذا آسهِ يهوي انجام تهند ته وَقِيلَ لِلَّذِينَ اتَّقَوْا مَاذَا أَنزَلَ رَبُّكُمْ قَالُوا خَيْرًا بيهِ ڇهو وننه يوان تمن لُوکن يِم شرکه نشهِ کُفره نشهِ پتهه رُودِ تو هه پيٺهه کياه کور نازِل تهند پروردگارن تمو دوپ الله تعالىٰ ان کور نازِل سُو قرانِ مجيد يتهه منز خيري خير ڇهو لِّلَّذِينَ أَحْسَنُوا فِي هَٰذِهِ الدُّنْيَا حَسَنَةٌ تمن لُوکن هندهِ خيطره يمور ڙکامهِ کرهِ ڇهه يتهه دُنياءس اندر رڙمزور وَلَدَارُ الْآخِرَةِ خَيْرٌ بيهِ ڇهو تهنده خيطره آخر تک گره زيادے رُت باعثِ فرحت و سُرور وَلَنِعْمَ دَارُ الْمُتَّقِينَ بيهِ ڇهو متقين ته پرهيزگارن هُند گره جَنَّاتُ عَدْنٍ يَدْخُلُونَهَا تَجْرِي مِن تَحْتِهَا الْأَنْهَارُ متقين هند گره گئے هميشه روزنک جنت يمن منز تمِ واتن تموي منز آسن پکان جوِيهِ لَهُمْ فِيهَا مَا يَشَاءُونَ تهندهِ خيطره ڇهو تمن جنتن اندر تهِ سورُوري يهِ تمِ يڙهان آسن كَذَٰلِكَ يَجْزِي اللَّهُ الْمُتَّقِينَ يتهے پاڻه کيا ديهِ الله تعالىٰ رڙمزور سارني پرهيزگارن الَّذِينَ تَتَوَفَّاهُمُ الْمَلَائِكَةُ طَيِّبِينَ تمِ گے تمِ يهندِ رُوح ملايک کڍن يتهه حالس اندر کهِ تمِ آسن پاک ته پاکيزه شرکو آلايشو نشهِ يا آسن درکمال فرحت و سرور

الْمَلٰٓئِكَةُ طَيِّبِيْنَ ۙ يَقُوْلُوْنَ سَلٰمٌ عَلَيْكُمُ ۙ ادْخُلُوا الْجَنَّةَ بِمَا
كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿٣٢﴾ هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّآ اَنْ تَاْتِيَهُمُ الْمَلٰٓئِكَةُ اَوْ
يَاْتِيَ اَمْرُ رَبِّكَ ۭ كَذٰلِكَ فَعَلَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ۭ وَمَا ظَلَمَهُمُ
اللّٰهُ وَلٰكِنْ كَانُوْٓا اَنْفُسَهُمْ يَظْلِمُوْنَ ﴿٣٣﴾ فَاَصَابَهُمْ سَيِّاٰتُ
مَا عَمِلُوْا وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ ﴿٣٤﴾ ع
وَقَالَ الَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا لَوْ شَاۗءَ اللّٰهُ مَا عَبَدْنَا مِنْ دُوْنِهٖ
مِنْ شَيْءٍ نَّحْنُ وَلَآ اٰبَاۗؤُنَا وَلَا حَرَّمْنَا مِنْ دُوْنِهٖ مِنْ شَيْءٍ ۭ

---

يَقُوْلُوْنَ سَلٰمٌ عَلَيْكُمُ ادْخُلُوا الْجَنَّةَ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ملايک وٽن کي سلام بوڻ تو هي پيٺ اڙو جنتس
کياڙه تهه آسوه رڙ عمل کران هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّآ اَنْ تَاْتِيَهُمُ الْمَلٰٓئِكَةُ تِم کافر ڇهڻ انتظار کران مگر
ملايکن هندِس ينس اَوْ يَاْتِيَ اَمْرُ رَبِّكَ ياڇهِ انتظار کران خدايه سندِس حُکمس يُس تهندِه گاله وٽنِ عذابه
خيطره آسهِ كَذٰلِكَ فَعَلَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ تِهٖ پاٺه کورِ انکار ته تکذيب شرِک ته کُفر تمولوکو تِم
تمن برونٹھ آسِ وَمَا ظَلَمَهُمُ اللّٰهُ وَلٰكِنْ كَانُوْٓا اَنْفُسَهُمْ يَظْلِمُوْنَ الله تعالیٰ اَن کرنه تمن لُوکن کُنهِ
قسمهِ ظُلم۔ مگر تِم آسِ پانِ پانس ظُلم کران فَاَصَابَهُمْ سَيِّاٰتُ مَا عَمِلُوْا وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ
يَسْتَهْزِءُوْنَ پس واڙ تمن بدی پنه نين عملن هنز بيه آوولنه تمن سُوی عذاب يتھ تِم ٹھٹھ آسِ
کران وَقَالَ الَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا لَوْ شَاۗءَ اللّٰهُ مَا عَبَدْنَا مِنْ دُوْنِهٖ مِنْ شَيْءٍ نَّحْنُ وَلَآ اٰبَاۗؤُنَا بيه ڇهِ
ونان يم مکک مُشرِک هرگاه خدايڙهِ هاآسِ کرهٖ هونه تس ورای بيه کانسهِ هنز عِبادت نه آسِ ته نه سانِ مالِ
بُڈِبب وَلَا حَرَّمْنَا مِنْ دُوْنِهٖ مِنْ شَيْءٍ بيه کرهٖ هونه آسِ حرام ته تهندِه حُکم ورای کانهه چيز اه۔ بيه يوڙهٖ
تمی تهندی يڙهنه موجب ڇهِ آسِ کران کافرن هنزِه يِمه کته وٽنه سيت مَه حضؐ گڙهو تهه آزرده۔ يه

كَذٰلِكَ فَعَلَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ۚ فَهَلْ عَلَى الرُّسُلِ اِلَّا
الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ ﴿٣٥﴾ وَلَقَدْ بَعَثْنَا فِيْ كُلِّ اُمَّةٍ رَّسُوْلًا اَنِ
اعْبُدُوا اللّٰهَ وَاجْتَنِبُوا الطَّاغُوْتَ ۚ فَمِنْهُمْ مَّنْ هَدَى اللّٰهُ
وَمِنْهُمْ مَّنْ حَقَّتْ عَلَيْهِ الضَّلٰلَةُ ۭ فَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَانْظُرُوْا
كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُكَذِّبِيْنَ ﴿٣٦﴾ اِنْ تَحْرِصْ عَلٰى هُدٰىهُمْ
فَاِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِيْ مَنْ يُّضِلُّ وَمَا لَهُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ ﴿٣٧﴾ وَ
اَقْسَمُوْا بِاللّٰهِ جَهْدَ اَيْمَانِهِمْ ۙ لَا يَبْعَثُ اللّٰهُ مَنْ يَّمُوْتُ ۭ

---

چھنہ نو کتھاہ کانہہ كَذٰلِكَ فَعَلَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ یتھے پاڑھ چھو بیہودہ بحث کورمت تمو لوکو تہ تمِ
تمن برونٹھ آسِ فَهَلْ عَلَى الرُّسُلِ اِلَّا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ پس چھونہ پیغمبرن مٹہ مگرنن پاڑھ احکامِ
خداوندی واتناونِ وَلَقَدْ بَعَثْنَا فِيْ كُلِّ اُمَّةٍ رَّسُوْلًا اَنِ اعْبُدُوا اللّٰهَ وَاجْتَنِبُوا الطَّاغُوْتَ پزِ پاڑھ بیہِ
سوزاسہِ پرتھ اُمتس کن پیغمبر لوکن یہ پیغام واتناونہِ خیطرہ کہ عبادت کرِو معبود برحقہ سنز تہ پتھ رُوزِو
شیطانہ سندہ تجویزہ معبودان باطِلن ہنز پرستش کرنہ نشہِ فَمِنْهُمْ مَّنْ هَدَى اللّٰهُ وَمِنْهُمْ مَّنْ حَقَّتْ
عَلَيْهِ الضَّلٰلَةُ پس آسہ تمو اُمتو اندرہ بعضے تمن سینز وَتھ ہاو اللہ تعالیٰ ان۔ تمو کور حق قبول بیہ آسِ
بعضی تمن پیٹھ گمراہی ثابت روز۔ سو تمن نشہِ دور گیہ نہ فَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ
الْمُكَذِّبِيْنَ پس پھیر توہ تہہ ای لُوکوز مینس منز تو پتہ وچھتو کیاہ بنیو وپتو لاکہ تمن لوکن تمو پیغمبرن
اِنکار کرو اِنْ تَحْرِصْ عَلٰى هُدٰىهُمْ فَاِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِيْ مَنْ يُّضِلُّ وَمَا لَهُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ ہرگاہ توہہِ خواہش
چھہ تہندہ ہدایچ تمہ سیتِ اندہ نہ کینہہ کیازِہ اللہ تعالیٰ چھونہ وَتھ ہاوان تمن تمن سُو وَتھ راورہ بیہ چھنہ
تہندہِ خیطرہ مددگار یم تمن عذابہ نشہِ بچاوِتھ ہیکن وَاَقْسَمُوْا بِاللّٰهِ جَهْدَ اَيْمَانِهِمْ لَا يَبْعَثُ اللّٰهُ مَنْ
يَّمُوْتُ بیہ ہاوِ تمو سخت زور دار قسم یتھ پیٹھ کہ اللہ تعالیٰ کرہ نہ کانسہ مرِت دوبارہ بیہ پیدہ۔ تہہ فرما

بَلٰى وَعْدًا عَلَيْهِ حَقًّا وَّلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۳۸﴾
لِيُبَيِّنَ لَهُمُ الَّذِيْ يَخْتَلِفُوْنَ فِيْهِ وَلِيَعْلَمَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا
اَنَّهُمْ كَانُوْا كٰذِبِيْنَ ﴿۳۹﴾ اِنَّمَا قَوْلُنَا لِشَيْءٍ اِذَآ اَرَدْنٰهُ اَنْ نَّقُوْلَ
لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ ﴿۴۰﴾ وَالَّذِيْنَ هَاجَرُوْا فِي اللّٰهِ مِنْۢ بَعْدِ مَا
ظُلِمُوْا لَنُبَوِّئَنَّهُمْ فِي الدُّنْيَا حَسَنَةً ۭ وَلَاَجْرُ الْاٰخِرَةِ اَكْبَرُ ۘ لَوْ
كَانُوْا يَعْلَمُوْنَ ﴿۴۱﴾ الَّذِيْنَ صَبَرُوْا وَعَلٰي رَبِّهِمْ يَتَوَكَّلُوْنَ ﴿۴۲﴾

---

ویوکھ بَلٰى وَعْدًا عَلَيْهِ حَقًّا البتہ ضرور کرِ اللہ تعالیٰ ساری مرِت بیہِ پیدہ۔ کیازہ تمِ چھُو امیک وعدہ کورمُت پُوز وعدہ وَّلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ لیکن اکثر لُوکھ چھنہ باوجود دلیل قایم آسنکہِ یقین کران۔ یہِ دوبارہ زندہ کران چھُو یِمہ خیطرہ کہ لِيُبَيِّنَ لَهُمُ الَّذِيْ يَخْتَلِفُوْنَ فِيْهِ اللہ تعالیٰ کرِ ضرور مرنہ پتہ بیہِ پیدہ سارنی یُتھ سُونترا اوِہ تِمن سوکھ یتھ منز تمِ اختلاف آسِ کران وَلِيَعْلَمَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اَنَّهُمْ كَانُوْا كٰذِبِيْنَ بیہِ زانن کافِر کہ بیشک تمِ آسِ اپزِ زیرِ اِنَّمَا قَوْلُنَا لِشَيْءٍ اِذَآ اَرَدْنٰهُ اَنْ نَّقُوْلَ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ لمہِ نشہِ کیاہ عجایب چھُہ بیہِ پیدہ کرن، یلہِ اَسِ کُنہِ چیزکہِ پیدہ کرنک ارادہ کران چھِہ اسِ چھِہ ونان سپَد۔ اتی چھُہ سُہ چیز سپدان تہ وجودس اندر یِوان وَالَّذِيْنَ هَاجَرُوْا فِي اللّٰهِ مِنْۢ بَعْدِ مَا ظُلِمُوْا لَنُبَوِّئَنَّهُمْ فِي الدُّنْيَا حَسَنَةً بیہِ یِموّلُوکو محض خدایہِ سندِہ خیطرہ پَنُن وطن مکہّ شریف ترووشہر حبشس کُن گَیِ، یلہِ تِمن ظلم کرنہ آو، اَسِ دِمَو ضرور تِمن رٹھ جای دُنیاہس اندر، اکس رِتس شہرس منز یعنی مدینہ مُنورّس منز یتہِ تمِ امن وراچھِ زندگی بسر کرِن وَلَاَجْرُ الْاٰخِرَةِ اَكْبَرُ ۘ لَوْ كَانُوْا يَعْلَمُوْنَ یُوسہ مزدُورِ آخرتس منز تِمن عطایہِ کرنہ سوچھِہ اَمہِ خوتہ بڈٕ۔ ای کاش تِمن کافِرن تے اچھ خبر آسہاسہ حاصِل کرنہ خیطرہ سپدِ ہن مسلمان الَّذِيْنَ صَبَرُوْا وَعَلٰي رَبِّهِمْ يَتَوَكَّلُوْنَ یِمو مہاجرو صبر کورو وطن ترِوانس پیٹھ بیہِ تمِ پنہ نِس پروردگارس پیٹھ توکُّل کران چھِہ وطن ترِاونکہِ وقتہ کوٚر کھنہ یہِ خیال کہِ کھیمو چیِمو کتھہِ پاٹھِ، درای پنہ نِس پروردِگارس پیٹھ بھروسہ کرِتھ وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ اِلَّا رِجَالًا نُّوْحِيْٓ

وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ اِلَّا رِجَالًا نُّوْحِيْٓ اِلَيْهِمْ فَسْـَٔلُوْٓا اَهْلَ
الذِّكْرِ اِنْ كُنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿٤٣﴾ بِالْبَيِّنٰتِ وَالزُّبُرِ ۭ وَاَنْزَلْنَآ اِلَيْكَ
الذِّكْرَ لِتُبَيِّنَ لِلنَّاسِ مَا نُزِّلَ اِلَيْهِمْ وَلَعَلَّهُمْ يَتَفَكَّرُوْنَ ﴿٤٤﴾
اَفَاَمِنَ الَّذِيْنَ مَكَرُوا السَّيِّاٰتِ اَنْ يَّخْسِفَ اللّٰهُ بِهِمُ الْاَرْضَ
اَوْ يَاْتِيَهُمُ الْعَذَابُ مِنْ حَيْثُ لَا يَشْعُرُوْنَ ﴿٤٥﴾ اَوْ يَاْخُذَهُمْ
فِيْ تَقَلُّبِهِمْ فَمَا هُمْ بِمُعْجِزِيْنَ ﴿٤٦﴾ اَوْ يَاْخُذَهُمْ عَلٰي تَخَوُّفٍ ۭ فَاِنَّ
رَبَّكُمْ لَرَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ ﴿٤٧﴾ اَوَلَمْ يَرَوْا اِلٰى مَا خَلَقَ اللّٰهُ مِنْ شَيْءٍ

---

اِلَيْهِمْ اسهِ سوزنه توهه برونٹھ يار سول الله مگر بشر ته انساني پيغمبره کيازه بشر يتس ته رسالتس اندر چهنه
کانهه منافات تمن گن اَس پنن احکام سوزان آسِ فَسْـَٔلُوْٓا اَهْلَ الذِّكْرِ اِنْ كُنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ پس پرزهتو
علمه والين ته زانن والين هرگاه توهه پانس معلوم چهنه بِالْبَيِّنٰتِ وَالزُّبُرِ اسهِ سوزِ تم پيغمبر ننهِ دليله ته
معجزات هيتھ بيه کتابه هيتھ وَاَنْزَلْنَآ اِلَيْكَ الذِّكْرَ لِتُبَيِّنَ لِلنَّاسِ مَا نُزِّلَ اِلَيْهِمْ وَلَعَلَّهُمْ يَتَفَكَّرُوْنَ بيه سوز
اسهِ توهه گن يه قران مجيد يُتھ تهه وارهٔ نزراو ته بيان کرِ لوکن يه تمن گن سوزنه آو۔ بيه يُتھ تم تتھ اندر
فکر کرن اَفَاَمِنَ الَّذِيْنَ مَكَرُوا السَّيِّاٰتِ اَنْ يَّخْسِفَ اللّٰهُ بِهِمُ الْاَرْضَ اَوْ يَاْتِيَهُمُ الْعَذَابُ مِنْ حَيْثُ لَا
يَشْعُرُوْنَ کياه تم لوکھ يمو يچھ حيله ته تدبير کرِ نبی کريمه سندس مُخالفس اندر تم چهابے فِکر يمه
کتھهِ نشهِ که تمن کيا نه الله تعالیٰ زمينس تل والتِ يا يمه کتھه نشهِ که عذاب کيا پيه واتتھ تپاری يپارنه تمن
فِکره تره اَوْ يَاْخُذَهُمْ فِيْ تَقَلُّبِهِمْ فَمَا هُمْ بِمُعْجِزِيْنَ يا کيا رٹهِ تمن الله تعالیٰ پهيران تهوران پس
چهنه تم عاجز کرهٔ ونِ اَوْ يَاْخُذَهُمْ عَلٰي تَخَوُّفٍ يا کيا رٹهِ تمن کهوژه ناوِ تهه يا هنه هنه تمن کم کران ته ختم
کران خدا ايس چھ پريتھ چيزس پيٹھ قدرت تس گژهه پريتھ ساته کهوژن فَاِنَّ رَبَّكُمْ لَرَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ پز
پاٹهِ تهنهد رُب چھ سيٹهاه مهربان سيٹهاه رحم کرهٔ ون سو چهنه جلد رٹان۔ سه چھ مُهلت دِوان اَوَلَمْ يَرَوْا

يَتَفَيَّؤُا ظِلٰلُهٗ عَنِ الْيَمِيْنِ وَ الشَّمَآئِلِ سُجَّدًا لِّلّٰهِ وَهُمْ دٰخِرُوْنَ ﴿۴۸﴾ وَلِلّٰهِ يَسْجُدُ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ مِنْ دَآبَّةٍ وَّالْمَلٰٓئِكَةُ وَهُمْ لَا يَسْتَكْبِرُوْنَ ﴿۴۹﴾ يَخَافُوْنَ رَبَّهُمْ مِّنْ فَوْقِهِمْ وَيَفْعَلُوْنَ مَا يُؤْمَرُوْنَ ﴿۵۰﴾ السجدة وَقَالَ اللّٰهُ لَا تَتَّخِذُوْٓا اِلٰهَيْنِ اثْنَيْنِ ۚ اِنَّمَا هُوَ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ ۚ فَاِيَّايَ فَارْهَبُوْنِ ﴿۵۱﴾ وَلَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضِ وَلَهُ الدِّيْنُ وَاصِبًا ؕ اَفَغَيْرَ اللّٰهِ تَتَّقُوْنَ ﴿۵۲﴾ وَمَا بِكُمْ

---

اِلٰی مَا خَلَقَ اللّٰهُ مِنْ شَيْءٍ کیاہ تِم چھنا وچھان تِمن سایہ دار چیزن کُن یِم اللہ تعالیٰ اَن پیدہ کرمتِ چھِ کُلِ ہی، کوہ وغیرہ ہی يَتَفَيَّؤُا ظِلٰلُهٗ عَنِ الْيَمِيْنِ وَ الشَّمَآئِلِ سُجَّدًا لِّلّٰهِ وَهُمْ دٰخِرُوْنَ نمان تہ پھیران چھُہ تِمن چیزن ہُند سایہ دچھِنِ تہ کھوفر۔ خدایس سجدہ کران تہ عاجزی ہُند اظہار کران تابع چھِ خدایہ سندِس حُکمس وَلِلّٰهِ يَسْجُدُ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ مِنْ دَآبَّةٍ بیہ چھِ خدایہ سی نمان تہ سجدہ دِوان تِم ساری چیز یِم آسمانن اندر تہ زمین اندر چھِ جاندار روأندرہ وَّالْمَلٰٓئِكَةُ بیہ چھِ ملائک تہِ تَس سجدہ دِوان وَهُمْ لَا يَسْتَكْبِرُوْنَ تِم چھِنہ باوجودِ علو شان تس عبادت کرنہ نشہِ کُنہِ قسمہِ تکبر کران يَخَافُوْنَ رَبَّهُمْ مِّنْ فَوْقِهِمْ وَيَفْعَلُوْنَ مَا يُؤْمَرُوْنَ تِم چھِ کھوژان پنہِ نِس پروردگارس یُس تِمن پیٹھ کُن تہِ بالادست چھُہ۔ بیہ چھِ تِم تعمیل کران تِمن سارنی حُکمن یِم تِمن کرنہ یوان چھِ وَقَالَ اللّٰهُ لَا تَتَّخِذُوْٓا اِلٰهَيْنِ اثْنَيْنِ اِنَّمَا هُوَ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ فَاِيَّايَ فَارْهَبُوْنِ بیہ فرموو اللہ تعالیٰ اَن پیغمبرن ہندِ واسطہِ ای لُوکو مہ تھاوِیُو کھ زہ یا وارِیاہ خدا۔ خدا چھُنہ مگر کُنی، اکوی۔ پَس کھوژِو تہِ می یُوت۔ کیازہ یلہِ الوہیت خاص می چھُہ لہٰذا تِمکِ لوازِم یِم چھِ کمالِ قدرت وغیرہ تِم چھِ مے خاص اِنتقامک خوف گژھہِ می نشِ تھاوُن۔ شرک چھُ منگان انتقامس۔ لہٰذا گژھہ نہ خدایس شریک ٹھراوُن وَلَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضِ وَلَهُ الدِّيْنُ وَاصِبًا بیہ چھُہ تہندی تہِ سوری یہ آسمانن تہ زمینن منز چھُہ۔ بیہ شوبہِ تہنزی فرمانبرداری کرنِ ہمیشہ اَفَغَيْرَ اللّٰهِ تَتَّقُوْنَ سُہ معبودِ برحق آسِتھ چھوہ تُہہ تَس ورای بین کھوژان۔ تِمنِ کھوژِتھ

مِّنْ نِّعْمَةٍ فَمِنَ اللّٰهِ ثُمَّ اِذَا مَسَّكُمُ الضُّرُّ فَاِلَيْهِ تَجْـَٔرُوْنَ ۝٥٣ ج
ثُمَّ اِذَا كَشَفَ الضُّرَّ عَنْكُمْ اِذَا فَرِيْقٌ مِّنْكُمْ بِرَبِّهِمْ يُشْرِكُوْنَ ۝٥٤ لا
لِيَكْفُرُوْا بِمَآ اٰتَيْنٰهُمْ ط فَتَمَتَّعُوْا قف فَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ ۝٥٥ وَيَجْعَلُوْنَ
لِمَا لَا يَعْلَمُوْنَ نَصِيْبًا مِّمَّا رَزَقْنٰهُمْ ط تَاللّٰهِ لَتُسْـَٔلُنَّ عَمَّا كُنْتُمْ
تَفْتَرُوْنَ ۝٥٦ وَيَجْعَلُوْنَ لِلّٰهِ الْبَنٰتِ سُبْحٰنَهٗ لا وَلَهُمْ مَّا يَشْتَهُوْنَ ۝٥٧
وَاِذَا بُشِّرَ اَحَدُهُمْ بِالْاُنْثٰى ظَلَّ وَجْهُهٗ مُسْوَدًّا وَّهُوَ كَظِيْمٌ ۝٥٨ ج

---

ڇِهو ته هنن پرستش ڪران. جيتوڻيڪ پاڻ نه کوڙنس قابلِ ڇهو ڪانهه تس وراي جيڪي پاڻ ڇهنه اُميد ٿهاونس قابل ته ڪانهه تس وراي وَمَا بِكُمْ مِّنْ نِّعْمَةٍ فَمِنَ اللّٰهِ چنانچه توهه نشه يُوسه نعمتهاه واتان ڇهسه ڇهوه معبود برحقه سندي طرفه واتان بيه نه ڪانسه هنده طرفه ثُمَّ اِذَا مَسَّكُمُ الضُّرُّ فَاِلَيْهِ تَجْـَٔرُوْنَ توپته يله توهه ڪانهه سختياه واتان ڇهه تمه ساته ڇهوه تس ڪن عاجزي ڪران ڪريڪه نادلاگان. دُعا ڪرنس اندر، فرياد ڪرنس اندر. تمه ساته ڇهوه نه بيه ڪانسه ته منگان ثُمَّ اِذَا كَشَفَ الضُّرَّ عَنْكُمْ اِذَا فَرِيْقٌ مِّنْكُمْ بِرَبِّهِمْ يُشْرِكُوْنَ توپته يله سُه سه سختي دُور ڪران ڇهه توهه نشه اتي ڇهه توهي منزه اکه جماعتهاه، تمه ڇهه زياده پنه نس پروردگارس بدستورِ سابق شرڪ انان لِيَكْفُرُوْا بِمَآ اٰتَيْنٰهُمْ فَتَمَتَّعُوْا فَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ يُتهه تم ڪفرانِ نعمت ڪران تمن نعمتن هنز يمه نعمت اسي تمن عطا ڪره پس تلو تمتع ڪينهه ڪالاه. عنقريب زانو اميک مزه وَيَجْعَلُوْنَ لِمَا لَا يَعْلَمُوْنَ نَصِيْبًا مِّمَّا رَزَقْنٰهُمْ بيه ڇهه مقرر ڪران تم مُشرڪ تمن معبودانِ باطلن هنده خيطره تمن هنز نه تمن خبرے ڇهه زه تمن اَتهه ڇهنه ڪانهه خير و شر يا نفع و ضرر اکه حصه تمه مالک ليس اسي تمن عطا ڪورمت ڇهه تَاللّٰهِ لَتُسْـَٔلُنَّ عَمَّا كُنْتُمْ تَفْتَرُوْنَ قسم ڇهه ميه پننه ذات پاڪُک ضرور بيه پرژهنه توهه تميک يه تهه پانے ٹهراوان آسوه وَيَجْعَلُوْنَ لِلّٰهِ الْبَنٰتِ سُبْحٰنَهٗ وَلَهُمْ مَّا يَشْتَهُوْنَ بيه ڇهه ٹهراوان معبودِ برحقس ڪوره حالانکه منزّه ته پاڪ ڇهه سُه ڪوره آسنه نشه پننه خيطره ڇهه ژهانڈان ته يه پانس پسند ڇهکه يعني گبر ته نچو وَاِذَا بُشِّرَ اَحَدُهُمْ بِالْاُنْثٰى ظَلَّ وَجْهُهٗ مُسْوَدًّا وَّهُوَ كَظِيْمٌ بيه يله تمو

يَتَوَارٰى مِنَ الْقَوْمِ مِنْ سُوْٓءِ مَا بُشِّرَ بِهٖ ؕ اَيُمْسِكُهٗ عَلٰى هُوْنٍ اَمْ يَدُسُّهٗ فِى التُّرَابِ ؕ اَلَا سَآءَ مَا يَحْكُمُوْنَ ﴿٥٩﴾ لِلَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ مَثَلُ السَّوْءِ ۚ وَلِلّٰهِ الْمَثَلُ الْاَعْلٰى ؕ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿٦٠﴾ وَلَوْ يُؤَاخِذُ اللّٰهُ النَّاسَ بِظُلْمِهِمْ مَّا تَرَكَ عَلَيْهَا مِنْ دَآبَّةٍ وَّلٰكِنْ يُّؤَخِّرُهُمْ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى ۚ فَاِذَا جَآءَ اَجَلُهُمْ لَا يَسْتَاْخِرُوْنَ سَاعَةً وَّلَا يَسْتَقْدِمُوْنَ ﴿٦١﴾ وَيَجْعَلُوْنَ لِلّٰهِ مَا يَكْرَهُوْنَ وَتَصِفُ

---

آندره کانسهِ خبر ڇهه يوان دِنه کورِه هندِه زنيچ اتي ڇهو تهنڊ بُتھ گرٿهان گرهُن ، بيهِ ڇهه سپدان غمگين يَتَوَارٰى مِنَ الْقَوْمِ مِنْ سُوْٓءِ مَا بُشِّرَ بِهٖ ڙهيپهِ ڙهيپ ڇُهه كران ، ڙورِه ڇهه روزان لُوکن نشهِ تمهِ خبرهِ هنزه شرمهِ هندِه سببه۔ اَيُمْسِكُهٗ عَلٰى هُوْنٍ اَمْ يَدُسُّهٗ فِى التُّرَابِ سوچان ڇُهه پانس سيتِ امِس كورِه كياه كره بوٚزِ۔ يتھے پاٹھ تھاونه كِنه زِندِ يامارِ تھ دوبراوٚن زمينس تل اَلَا سَآءَ مَا يَحْكُمُوْنَ وارهٕ وِڇهو كوتاه پچھ ڇھُيهِ تجويز يُهند يُس تمِ خدايس مُتعلق كران ڇهِ۔ يعني تَس ڇهِ كورِه ٹھهراوان پانس ڇھكهه كورِه زينه وِزِه بُتھ سياه گرٿهان لِلَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ مَثَلُ السَّوْءِ تِمن لُوکن هُند ڇھُ سيٹھاه پچھ حال تمِ پٹھِمِس دوهس اِنكار كران ڇهِ وَلِلّٰهِ الْمَثَلُ الْاَعْلٰى خدايهِ سندِه خيطره ڇهِ تهدِ تهدِ صِفت وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ بيهِ ڇھُ سُوئى غالِب تهٕ حِكمتهٕ ڈول وَلَوْ يُؤَاخِذُ اللّٰهُ النَّاسَ بِظُلْمِهِمْ مَّا تَرَكَ عَلَيْهَا مِنْ دَآبَّةٍ بيهِ هرگاه اللّٰه تعالٰى لُوکن تهند يو نافرمانيو سببه گرفتار كرهِ ہاتلهِ تراوِه ہانه اتھ زمينس پیٹھ كانسهِ جاندارس تهٕ تمِن نافرمانن هنز شامت واتهٕ ہابے گناه جاروانَن تهِ۔ وَّلٰكِنْ يُّؤَخِّرُهُمْ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى مگر سُه ڇُهه تمِن مهلت دِوان اَكِس مقرر كرنه آمتِس وقتس تانِ فَاِذَا جَآءَ اَجَلُهُمْ لَا يَسْتَاْخِرُوْنَ سَاعَةً وَّلَا يَسْتَقْدِمُوْنَ پتس يلهِ واتهِ تهنُد سُه وقت تمهِ ساتهِ مِنِ نه تمه نشِهِ نه پتھ كڈنه نه برونٹھ اننه وَيَجْعَلُوْنَ لِلّٰهِ مَا يَكْرَهُوْنَ بيهِ ڇهِ معبودِ برحقه سندِه خيطره ٹھهراوان تمِ چيز يمِ پانس كهران ڇھكھ وَتَصِفُ اَلْسِنَتُهُمُ الْكَذِبَ بيهِ ڇهِ وَنان تهنزه زيوهِ اپز اَنَّ لَهُمُ الْحُسْنٰى اِى زِه كه تهندِه خيطره كيا ڇھ خدايس

اَلْسِنَتُهُمُ الْكَذِبَ اَنَّ لَهُمُ الْحُسْنٰىؕ لَاجَرَمَ اَنَّ لَهُمُ النَّارَ وَ
اَنَّهُمْ مُّفْرَطُوْنَ ﴿۶۲﴾ تَاللّٰهِ لَقَدْ اَرْسَلْنَاۤ اِلٰۤى اُمَمٍ مِّنْ قَبْلِكَ
فَزَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ اَعْمَالَهُمْ فَهُوَ وَلِيُّهُمُ الْيَوْمَ وَلَهُمْ عَذَابٌ
اَلِيْمٌ ﴿۶۳﴾ وَمَاۤ اَنْزَلْنَا عَلَيْكَ الْكِتٰبَ اِلَّا لِتُبَيِّنَ لَهُمُ الَّذِى
اخْتَلَفُوْا فِيْهِ ۙ وَهُدًى وَّرَحْمَةً لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ﴿۶۴﴾
وَاللّٰهُ اَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَاؕ اِنَّ فِىْ
ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّقَوْمٍ يَّسْمَعُوْنَ ﴿۶۵﴾ وَاِنَّ لَكُمْ فِى الْاَنْعَامِ لَعِبْرَةًؕ نُسْقِيْكُمْ

---

نشہِ نیکی لَاجَرَمَ اَنَّ لَهُمُ النَّارَ وَ اَنَّهُمْ مُّفْرَطُوْنَ ثابت چھِ یہ کتھ کہِ یقیناً چھُ تہندِ ہ خیطرہ نار تہٕ منزِ منزِ
تمِ سارنی برونٹھ تراونہ تَاللّٰهِ لَقَدْ اَرْسَلْنَاۤ اِلٰۤى اُمَمٍ مِّنْ قَبْلِكَ خدایہِ سُند قسم پزِ پاٹھِ اسہِ سوز پیغمبر
توہہِ برونہہ وارِیاہَن اُمتن کُن فَزَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ اَعْمَالَهُمْ پس زینت دیت شیطانن تہنزن تِچھ
کامین۔ تمن آیہِ بوزنہ پتہِ تِچھہ کامہِ جان فَهُوَ وَلِيُّهُمُ الْيَوْمَ وَلَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ سُی شیطان چھُ تہند دوست
از تہٕ بیہِ چھُ تہندی خیطرہ دگ تلہ وٚن عذاب آخرتس اندر وَمَاۤ اَنْزَلْنَا عَلَيْكَ الْكِتٰبَ اِلَّا لِتُبَيِّنَ لَهُمُ
الَّذِى اخْتَلَفُوْا فِيْهِ وَهُدًى وَّرَحْمَةً لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ بیہِ کرنہ اسہِ نازِل توہہِ پیٹھ یہ کتاب مگر
یُتھ تہٕ لوکن وارہ بیان کرِو دیچھِ تمہِ کتھ تمن منز تمِ اختلاف کران چھہِ بیہِ بوڈ ہدایت تہٕ بڈ رحمت
باایمانن ہندِہ خیطرہ وَاللّٰهُ اَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا بیہِ تروو اللہ تعالیٰ اَن آسمانکہِ
طرفہ روٗد تمی سیتِ کورُن زِندہ مومُت زمین۔ یُس زمین رُودنہ پتہ سیتِ خشک اوس گومُت اِنَّ فِىْ
ذٰلِكَ لَاٰيَةً لِّقَوْمٍ يَّسْمَعُوْنَ پزِ پاٹھِ اتھ منز چھُ بوڈ نشانہ بوزہ وَنین ہندِہ خیطرہ تمِ قرآن مجید بوزن
تہند مُردہ دِل سپدن زندہ وَاِنَّ لَكُمْ فِى الْاَنْعَامِ لَعِبْرَةً نُسْقِيْكُمْ مِّمَّا فِىْ بُطُوْنِهٖ مِنْۢ بَيْنِ فَرْثٍ وَّدَمٍ لَّبَنًا
خَالِصًا سَآئِغًا لِّلشّٰرِبِيْنَ بیشک تہندہ خیطرہ چھُو چارواین اندرتہِ سیٹھاہ غور کرُنگ مُقام تہندین شکمن

مِّمَّا فِیْ بُطُوْنِهٖ مِنْۢ بَیْنِ فَرْثٍ وَّ دَمٍ لَّبَنًا خَالِصًا سَآئِغًا لِّلشّٰرِبِیْنَ ﴿۶۶﴾
وَ مِنْ ثَمَرٰتِ النَّخِیْلِ وَ الْاَعْنَابِ تَتَّخِذُوْنَ مِنْهُ سَكَرًا وَّ رِزْقًا
حَسَنًا ؕ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ لَاٰیَةً لِّقَوْمٍ یَّعْقِلُوْنَ ﴿۶۷﴾ وَ اَوْحٰى رَبُّكَ اِلَى
النَّحْلِ اَنِ اتَّخِذِیْ مِنَ الْجِبَالِ بُیُوْتًا وَّ مِنَ الشَّجَرِ وَ مِمَّا یَعْرِشُوْنَ ﴿۶۸﴾
ثُمَّ كُلِیْ مِنْ كُلِّ الثَّمَرٰتِ فَاسْلُكِیْ سُبُلَ رَبِّكِ ذُلُلًا ؕ یَخْرُجُ مِنْۢ
بُطُوْنِهَا شَرَابٌ مُّخْتَلِفٌ اَلْوَانُهٗ فِیْهِ شِفَآءٌ لِّلنَّاسِ ؕ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ

---

منز یُس فضلہ تہ رَتھ چُھہ تموے دویو چیز و منزہ چھُ نیران دوداہ صاف، ہٹہ وَسہ ؤن آسانی سان چینہ والین۔ سُی دود چھِہ اَسِ توہہِ چاوان۔ وچھو سانِ قُدرت اَتھ دودَس نہ چھ آسان خونچ آلایش نہ فضلچ آلایش یا مُشک وَمِنْ ثَمَرٰتِ النَّخِیْلِ وَالْاَعْنَابِ تَتَّخِذُوْنَ مِنْهُ سَكَرًا وَّرِزْقًا حَسَنًا بیہ گرُشھِ خضرن تہ دچھِہ اندر غور کرن۔ تیار چھوہ کران تہٕ تہ نشِکّ چیز بیہ کھینکِ چیز۔ خشک خضر بیہ کشمش بیہ شربت تہ سِر کہ۔ اتھ منز تہِ چھ بجہِ دلیلہ خدایہِ سندہ توحید چہِ۔ بیہ چھُ ثابت سپدان سارے نعمتہ عطا کرہؤن چھُ سُی اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ لَاٰیَةً لِّقَوْمٍ یَّعْقِلُوْنَ پزپاٹِ اتھ منز چھُ بوڈ نشانہ خدایہِ سندہ قدر تک عقلہِ والین ہندِ خیطرہ وَاَوْحٰى رَبُّكَ اِلَى النَّحْلِ اَنِ اتَّخِذِیْ مِنَ الْجِبَالِ بُیُوْتًا وَّمِنَ الشَّجَرِ وَمِمَّا یَعْرِشُوْنَ یہِ کتھ تہِ چھ قابلِ غور کہِ الہام ترووتھندِ پروردگارن ماچھ تلرِہ ای زِہ ژہ بناوپنُن گرہ کوہن منز، کُلین منز بیہ لُوکن ہندین گرن منز چنانچہِ تمن جاین منز چھ سہ گرہ بناوان ثُمَّ كُلِیْ مِنْ كُلِّ الثَّمَرٰتِ فَاسْلُكِیْ سُبُلَ رَبِّكِ ذُلُلًا توپتہ کھیہ ژہ پریتھ قسم میوہ اَندرہ۔ پس ہیہ پکُن واپس ژہ پنہ نِس آلِس کُن پنہ نِس پروردگارہ سنزن وتن اندر یمہ سہل تہ آسان چھ چانہِ خیطرہ۔ دورود راز جایو پیٹھ میوَن ہُند رَس ژھتھہ چھ یوان سو پنہ نِسی آلِس کُن توپتہ چھ مانچھ تراونچ کوم کران یَخْرُجُ مِنْۢ بُطُوْنِهَا شَرَابٌ مُّخْتَلِفٌ اَلْوَانُهٗ فِیْهِ شِفَآءٌ لِّلنَّاسِ نیران چھُ سُہ مانچھ تلرین ہندیو شکمو منزہ اکھ چینک چیز اہ میُوٹھ تہ مودُر یعنی مانچھ یمکِ رنگ مختلف چھِہ آسان تتھ منز چھُ شفاء لُوکن ہندِہ خیطرہ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ لَاٰیَةً لِّقَوْمٍ یَّتَفَكَّرُوْنَ پزپاٹِ اتھ منز چھہ بوڈ نشانہ خدایہِ

لَاٰيَةً لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ ﴿٦٩﴾ وَاللّٰهُ خَلَقَكُمْ ثُمَّ يَتَوَفّٰىكُمْ وَمِنْكُمْ مَّنْ يُّرَدُّ اِلٰٓى اَرْذَلِ الْعُمُرِ لِكَيْ لَا يَعْلَمَ بَعْدَ عِلْمٍ شَيْـًٔا ۭ اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌ قَدِيْرٌ ﴿٧٠﴾ وَاللّٰهُ فَضَّلَ بَعْضَكُمْ عَلٰي بَعْضٍ فِي الرِّزْقِ ۚ فَمَا الَّذِيْنَ فُضِّلُوْا بِرَاۗدِّيْ رِزْقِهِمْ عَلٰي مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُمْ فَهُمْ فِيْهِ سَوَاۗءٌ ۭ اَفَبِنِعْمَةِ

---

سندِ ہ قدر تگ فِکر تہٕ تامل کرہٕ وٕنین ہندِ ہ خیطر ہ وَاللّٰهُ خَلَقَكُمْ ثُمَّ يَتَوَفّٰىكُمْ وَمِنْكُمْ مَّنْ يُّرَدُّ اِلٰٓى اَرْذَلِ الْعُمُرِ بیہ کرِوہ تِہٕ اللہ تعالیٰ نے پیدہ۔ تو تانِ آسوِہ نہ تُہہ کہنی۔ از عدم انوہ بوجود کینہہ کالاہ گرِٛھت نیوہ سُی توہہِ ییمہ عالمہ بیہِ چھُ توہہِ اندر کانہہ شخصاہ تیچھ عُمرِ ہ تان واتناونہ یوان۔ تتھ عُمرِ ہ منز نہ پُھہ جسمانی قوت موجود روزان نہ عقلہِ ہند قوت۔ یژھ عمرہ نشہِ چھُ پناہ مونٛگمت نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم ”وأعوذبك من أن أردإلى أرذل العمر“ لِكَيْ لَا يَعْلَمَ بَعْدَ عِلْمٍ شَيْـًٔا تمُیک اثر چھُ یہِ سپدان کہ اکہ چیزِ چ خبر گژھنہ پتہٕ چھُ یہ شخص تمہِ چیزہ نشہِ بیٛخبر سپدان یاد وُتر پُھنہ بجرس اندر کینہہ روزان اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌ قَدِيْرٌ پزپاٹھِ اللہ تعالیٰ ای چھُ سورُی زانہ وٕن، سارِسی پیٹھ قدرتہٕ وول وَاللّٰهُ فَضَّلَ بَعْضَكُمْ عَلٰي بَعْضٍ فِي الرِّزْقِ بیہِ دِیُت فضیلت اللہ تعالیٰ اَن توہہِ اَندرہ بعضی لُوکن بعضین پیٹھ رزقس اندر۔ اکھ کوُرن مالدار تمس تھاوِن نوکر تہٕ غلام تابع۔ تمسندِ ہ واسطہِ چھُ تمن تہندین غلامن تہٕ رزق واتناوان۔ کانہہ بنوِن غلام تمس چھُ آغہ سندِ ہ واسطہ رزق واتناوان۔ بیہ کوُرن کانہہ شخصاہ تمس نہ چھ تیژ دَولت زِہ غلام آسہ ہنٕس۔ نہ چھُ سُہ پانہ کانسہِ ہُند غلام فَمَا الَّذِيْنَ فُضِّلُوْا بِرَاۗدِّيْ رِزْقِهِمْ عَلٰي مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُمْ فَهُمْ فِيْهِ سَوَاۗءٌ لہذا یمن لُوکن رزقس اندر خاص فضیلت دِنہ آیہ تمن نشہِ چھُ مال تہٕ دولت تہِ، غلام تہِ تم ہیکن نہ سُہ پنُن مال تمن غلامَن دِتھ۔ کیا زِہ تلہِ سپدِہ آغہ تہٕ غلام برابر۔ کیا زِہ غلام پُھنہ کُنہِ چزک مالِکھی بنان۔ لہذا پُھنہ غلامی تہٕ مساوات مُمکنی زانہہ۔ یَتھے پاٹھِ پھہِ یم معبودان باطِل ساری خدلیہ سندِ مُملوک۔ یُمیک کافِر پھہِ پانہ اعتراف کران۔ لہذا مُملوک آستھ کِتھ پاٹھ ہیکن تمِ خدایس ہی آستھ۔ یا کِتھ پاٹھ ہیکن تمِ خدلیہ سندِس کُنہِ چیزس منز شریک آستھ۔ یلہِ نہ تہندِ غلام تہندس مال و دولتس شریک ہیکن سپدِت۔ اللہ تعالیٰ سُندِ غلام تہٕ مملوک کِتھ پاٹھِ ہیکن تہندس الوہیتس اندر لتس شریک

اللّٰهِ یَجْحَدُوْنَ ﴿٧١﴾ وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمْ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ اَزْوَاجًا وَّ
جَعَلَ لَكُمْ مِّنْ اَزْوَاجِكُمْ بَنِیْنَ وَحَفَدَةً وَّرَزَقَكُمْ مِّنَ
الطَّیِّبٰتِ ؕ اَفَبِالْبَاطِلِ یُؤْمِنُوْنَ وَبِنِعْمَتِ اللّٰهِ هُمْ یَكْفُرُوْنَ ﴿٧٢﴾
وَیَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا لَا یَمْلِكُ لَهُمْ رِزْقًا مِّنَ
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ شَیْـًٔا وَّلَا یَسْتَطِیْعُوْنَ ﴿٧٣﴾ فَلَا تَضْرِبُوْا
لِلّٰهِ الْاَمْثَالَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ یَعْلَمُ وَاَنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿٧٤﴾ ضَرَبَ

---

بنتِ۔ کیاہ تِم مضامین بۄزِت چھا تِم لۄکھ خدایس شریک ٹھہراوان یِمہ سیتِ عقلاً یہِ کتھ چھ ثابت سپدان کہ تِم چھِ خدایہِ سٕنزن نعمژن اِنکار کران کیازہ یُس نعمژ عطا کرہ وُن آسہِ سہ گژھہِ زانُن معبود تہِ کُنی۔ تس شریک ٹھہراونہ سیتِ چھُ لازِم کہِ تس چھنہِ تِم نعمت عطا کرہ ونِ زانان۔ لہٰذا چھہِ تِم مُشرِک شرک اننہ سیت تہندس نعمتس اِنکار کران اَفَبِنِعْمَةِ اللّٰهِ یَجْحَدُوْنَ کیاہ تِم چھا خدایہِ سٕنزن نعمژن اِنکار کران وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمْ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ اَزْوَاجًا بیہِ کر اللہ تعالیٰ ان پیدہ تہٕندِی جِنسہ منزہ یعنی انسانو منزہ تہٕندِ جورہ یعنی آشین تہٕ زنانہ تہٕنزِہ وَّجَعَلَ لَكُمْ مِّنْ اَزْوَاجِكُمْ بَنِیْنَ وَحَفَدَةً بیہِ کر اللہ تعالیٰ ان پیدہ تہٕندِہ خیطرہ تہنزِ و زنانو نشہِ گبر تہٕ اولاد بیہ اولادٕن ہندِ اولاد وَّرَزَقَكُمْ مِّنَ الطَّیِّبٰتِ بیہِ کورُن عطا تۄہہِ رِزق پاک تہٕ رتیو چیز و اَندرہ اَفَبِالْبَاطِلِ یُؤْمِنُوْنَ وَبِنِعْمَتِ اللّٰهِ هُمْ یَكْفُرُوْنَ یہِ کرِت تہٕ چھا تِم معبودانِ باطلن ایمان انان یتھ پیٹھ نہ کانہہ دلیل چھ تہٕ خدلیہِ سٕنزن نعمژن چھِ اِنکار کران تس شریک ٹھراونہ سیتِ وَیَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا لَا یَمْلِكُ لَهُمْ رِزْقًا مِّنَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ شَیْـًٔا وَّلَا یَسْتَطِیْعُوْنَ بیہِ چھہِ تِم عبادت تہٕ پرستش کرٕان خدایس ورای تِمنی چیزن ہنز یِم نہ مالک تہٕ اختیارہ والِ چھہِ تہٕندہ خیطرہ کُنہِ قسمہِ رِزقس نہ آسمانکہِ طرفہ بارش تراوِت نہ زمینکہِ طرفہ کانہہ چیز کھارِت، نہ ہیکن تِم تہٕندِہ خیطرہ کینہہ کرِتھ فَلَا تَضْرِبُوْا لِلّٰهِ الْاَمْثَالَ پس مہ آسوِتہٕ بیان کران خدایہِ سٕنزہ مِثالہ پٔننی خیالہ موجُب کہ اللہ تعالیٰ چھُ بوڑ پادشاہ۔ تس ہیکہِ نہ پریتھ اکھاہ پنٕن حاجت پیش کرِتھ، عام لۄکن شوبہ تہٕندین نایِبن

اللّٰهُ مَثَلًا عَبْدًا مَّمْلُوْكًا لَّا يَقْدِرُ عَلٰى شَيْءٍ وَّمَنْ رَّزَقْنٰهُ مِنَّا رِزْقًا حَسَنًا فَهُوَ يُنْفِقُ مِنْهُ سِرًّا وَّجَهْرًا ؕ هَلْ يَسْتَوٗنَ ؕ اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ ؕ بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿٧٥﴾ وَضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا رَّجُلَيْنِ اَحَدُهُمَآ اَبْكَمُ لَا يَقْدِرُ عَلٰى شَيْءٍ وَّهُوَ كَلٌّ عَلٰى مَوْلٰىهُ ۙ اَيْنَمَا يُوَجِّهْهُّ لَا يَاْتِ بِخَيْرٍ ؕ هَلْ يَسْتَوِيْ هُوَ ۙ وَمَنْ يَّاْمُرُ بِالْعَدْلِ ۙ وَهُوَ عَلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿٧٦﴾

نشهِ پنن حاجت پيش كرنِ تم كرن پيش خدا ايس نشهِ اِنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ وَاَنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ بيشك پز مثال بيان كرنِ زانهِ الله تعالىٰ اى تهٖ زانونه ضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا چنانچه الله تعالىٰ چھُ مثاله بيان كران عَبْدًا مَّمْلُوْكًا اكھ غلاماه چھُوا كسِ شخصه سُند لَّا يَقْدِرُ عَلٰى شَيْءٍ يَس نه كُنهِ چيزس پيٹھ كانهه قدرت يا كينهه اختياراه چھُ وَّمَنْ رَّزَقْنٰهُ مِنَّا رِزْقًا حَسَنًا فَهُوَ يُنْفِقُ مِنْهُ سِرًّا وَّجَهْرًا بياكھ چھُ سُه شخص يَس اَسهِ پننهِ طرفه رُت رِزق عطا كور۔ سُه چھُ تمهِ رِزقه منزه خرچ كران۔ پُوشيده پاٹھِ تهِ ننِ پاٹھِ تهِ هَلْ يَسْتَوٗنَ تُهی ونتو تمِ زه چھا برابری۔ تمِ معبودانِ باطِل بوزِ توكھ بے طاقت ته بے اختيار غلام ہی۔ الله تعالىٰ زانتون مختارِ كُل۔ پرِيتھ چيزس پيٹھ قدرت ته طاقت تھاون وول اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ ساری تعريف ته صِفت چھهِ تس معبود بر حقس يُس زاته كن ته صفتو كن كامِل چھُ بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ بلكه چھُنه تمو اَندره اكثرن معلُومی كهِ شركهِ شامته كياه بنهِ تمن وَضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا رَّجُلَيْنِ اَحَدُهُمَآ اَبْكَمُ لَا يَقْدِرُ عَلٰى شَيْءٍ وَّهُوَ كَلٌّ عَلٰى مَوْلٰىهُ بياكھ مثال چھُ الله تعالىٰ فرماوان۔ زنِ جوراه چھهِ۔ اكھ چھُ تمو اَندره ماجهِ زامُت كولوی كانهه كوم نه ہيكان كرِ تھ۔ بيه چھُ سُه بور ته وبالِ گردن پنه نِس آغس پيٹھ بنيومُت اَيْنَمَا يُوَجِّهْهُّ لَا يَاْتِ بِخَيْرٍ يُوت سوزان چُھس تتهِ كانهه رژ كاماه كرِت چھُنه يوان۔ هَلْ يَسْتَوِيْ هُوَ وَمَنْ يَّاْمُرُ بِالْعَدْلِ وَهُوَ عَلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ تُهی ونتو كياه يهِ شخص چھا برابر تس شخصس سيتِ يُس فصاحت وبلاغته سان كلام آسهِ كران يُس لُوكن رژن كامين هُند اصرار آسهِ كران بيهِ آسهِ سُه پانه تهِ

وَلِلّٰهِ غَيْبُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ وَمَآ اَمْرُ السَّاعَةِ اِلَّا كَلَمْحِ الْبَصَرِ اَوْ هُوَ اَقْرَبُ ۭ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰي كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۷۷﴾ وَاللّٰهُ اَخْرَجَكُمْ مِّنْۢ بُطُوْنِ اُمَّهٰتِكُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ شَـيْـــًٔا ۙ وَّجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْاَبْصَارَ وَالْاَفْــِٕدَةَ ۙ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ﴿۷۸﴾ اَلَمْ يَرَوْا اِلَى الطَّيْرِ مُسَخَّرٰتٍ فِيْ جَوِّ السَّمَاۗءِ ۭ مَا يُمْسِكُهُنَّ اِلَّا اللّٰهُ ۭ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ﴿۷۹﴾

---

سیزِ وَتہٕ پیٹھ قائم رُوزِتھ وَلِلّٰهِ غَيْبُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ بیہِ چھُ خدایہِ سی آسمانن تہٕ زمینن ہنزن پُوشیدہ کتھن ہُند علم وَمَآ اَمْرُ السَّاعَةِ اِلَّا كَلَمْحِ الْبَصَرِ اَوْ هُوَ اَقْرَبُ بیہِ چھُ سُہ قدرتس اندر تیُوت کامِل کہ پُوشیدہ کتھو اَندرہ گیہ اکھ کتھ قیامت۔ تمیک معاملہ آسہِ تیُوت جلدکہِ یمہِ ساتہٕ تمیک وقت واتہِ اَکس اچھِہ ٹیٹھہ منز سپدِہ قیامت برپا بلکہ تمہِ خوتہٕ تہِ نزدیک تہٕ جلد اِنَّ اللّٰهَ عَلٰي كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ بیشک اللہ تعالیٰ چھُ پرِیتھ چیزس پیٹھ قدرت ووِل وَاللّٰهُ اَخْرَجَكُمْ مِّنْۢ بُطُوْنِ اُمَّهٰتِكُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ شَـيْـــًٔا بیہِ چھُ قدرتہٕ چو دلیلو اندرہ تہٕ نعمتہ کیو قِسمو اَندرہ بیہِ امر کہِ کُڈِوہ توہہِ اللہ تعالیٰ ان پنہٕ نین ماجن ہند یو شِکمو اَندرہ یتھ حالس اندر کہ تمہِ ساتہٕ آسیونہ تُہہ زانان کہنی۔ وَّجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْاَبْصَارَ وَالْاَفْــِٕدَةَ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ تو پتہٕ کرنوہ تمِ بوزنہ خیطرہ کن، وچھنہ خیطرہ اچھ، زاننہ خیطرہ دِل عطا۔ یُتھ تہہ تہنزن تمن نعمژن پیٹھ شُکر دِیو اَلَمْ يَرَوْا اِلَى الطَّيْرِ مُسَخَّرٰتٍ فِيْ جَوِّ السَّمَاۗءِ مَا يُمْسِكُهُنَّ اِلَّا اللّٰهُ کیاہ تمِ لُوکھ چھناو چھان جانورن ہُند حال۔ کتھ پاٹھِ چھِ خدایہِ سندِس حُکمس تابع آسمانس تہٕ زمینس منز باگ ہواوس پیٹھ وُڈان۔ کانہہ تہِ چُھنہ تمن تھپ کرِت آسان اللہ تعالیٰ اس ورای اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ پزپاٹھِ اَتھ منز چھِ وارِیاہ دلیلہ خدایہِ سندہ قدرتچہِ با ایمانن ہندِہ خیطرہ وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمْ مِّنْۢ بُيُوْتِكُمْ سَكَنًا وَّجَعَلَ لَكُمْ مِّنْ جُلُوْدِ الْاَنْعَامِ بُيُوْتًا تَسْتَخِفُّوْنَهَا بیہِ کر اللہ تعالیٰ ان تُہندِہ خیطرہ تُہندین گھرن اندر تُہندِہ روزنچ جای یلہِ نہ تُہہ درحالتِ

وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمْ مِّنْۢ بُيُوْتِكُمْ سَكَنًا وَّجَعَلَ لَكُمْ مِّنْ جُلُوْدِ
الْاَنْعَامِ بُيُوْتًا تَسْتَخِفُّوْنَهَا يَوْمَ ظَعْنِكُمْ وَيَوْمَ اِقَامَتِكُمْ ۙ
وَمِنْ اَصْوَافِهَا وَاَوْبَارِهَا وَاَشْعَارِهَاۤ اَثَاثًا وَّمَتَاعًا
اِلٰى حِيْنٍ ﴿۸۰﴾ وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمْ مِّمَّا خَلَقَ ظِلٰلًا وَّجَعَلَ لَكُمْ
مِّنَ الْجِبَالِ اَكْنَانًا وَّجَعَلَ لَكُمْ سَرَابِيْلَ تَقِيْكُمُ الْحَرَّ
وَسَرَابِيْلَ تَقِيْكُمْ بَاْسَكُمْ ؕ كَذٰلِكَ يُتِمُّ نِعْمَتَهٗ عَلَيْكُمْ
لَعَلَّكُمْ تُسْلِمُوْنَ ﴿۸۱﴾ فَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّمَا عَلَيْكَ الْبَلٰغُ

---

سَفَر آسوبیہِ کرِن تُہندِہ خیطرہ چاروایِن ہندین مُسلن ہندِ گھرہ۔ یعنی خیمہ یِم تِہہ لوت زانتھ پانس سیتِ سفرن اندر تلان چِھوہ يَوْمَ ظَعْنِكُمْ وَيَوْمَ اِقَامَتِكُمْ یِمہ دوہہ تُہہ سفرس نیران چِھوہ بیہ یِمہ دوہہ کُنہِ جایہِ ٹھہران چِھوہ اقامت کران چِھوہ وَمِنْ اَصْوَافِهَا وَاَوْبَارِهَا وَاَشْعَارِهَاۤ اَثَاثًا وَّمَتَاعًا اِلٰى حِيْنٍ بیہ کرِن تہُندہ خیطرہ کٹہ مُونہ، اونٹہ مُونہ، ژھاولِ مُونہ، پوشاک تہ فرش وفروش بیہ گرِچ گروِٹھ اکس مقرر کرنہ آمتس وقتس تانِ یُوتتان تمِ چیز پھلان چھِ وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمْ مِّمَّا خَلَقَ ظِلٰلًا بیہ کرِ اللہ تعالیٰ ان تہندِہ خیطرہ پنہ نین پیدہ کرمتین چیزن ہُند سایہِ پیدہ۔ یِمن تل رُوزِت تہُہ آفتابچہِ گرمی نشہِ بچان چِھوہ مثلاً کُلین ہُند سایہِ، لرین ہُند سایہ وَّجَعَلَ لَكُمْ مِّنَ الْجِبَالِ اَكْنَانًا بیہ کرِہ اللہ تعالیٰ ان تہُندِہ خیطرہ کوہن اندر گوپھہ تہ غارہ یِمنِ تَل رُوزتِ شینہ تہ رُودہ نشہِ بچان چِھوہ وَّجَعَلَ لَكُمْ سَرَابِيْلَ تَقِيْكُمُ الْحَرَّ بیہِ کرِہ اللہ تعالیٰ ان تُہندِہ خیطرہ پھرن تہ کُرتنہِ یِمہ توہہ بچاوان چھَہ سردی نشہِ تہ گرمی نشہِ وَسَرَابِيْلَ بیہ کرین بیہِ کُرتنہِ یعنی زِرہ تَقِيْكُمْ بَاْسَكُمْ یِمہ توہہِ بچاوان چھَہ جنگس اندر شمشیرن تہ نیزن تہ تیرن ہندِ یوزخمو نشہِ كَذٰلِكَ يُتِمُّ نِعْمَتَهٗ عَلَيْكُمْ لَعَلَّكُمْ تُسْلِمُوْنَ تِتھے پاٹھِ چھُو اللہ تعالیٰ توہہِ پیٹھ نعمژ پننہِ پورہ کران یُتھ تہُہ تمسُند حُکم مانِو فَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّمَا عَلَيْكَ الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ پس

الْمُبِيْنُ ﴿۸۲﴾ يَعْرِفُوْنَ نِعْمَتَ اللّٰهِ ثُمَّ يُنْكِرُوْنَهَا وَاَكْثَرُهُمُ
الْكٰفِرُوْنَ ﴿۸۳﴾ ع وَيَوْمَ نَبْعَثُ مِنْ كُلِّ اُمَّةٍ شَهِيْدًا ثُمَّ لَا
يُؤْذَنُ لِلَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَلَا هُمْ يُسْتَعْتَبُوْنَ ﴿۸۴﴾ وَاِذَا رَاَ الَّذِيْنَ
ظَلَمُوا الْعَذَابَ فَلَا يُخَفَّفُ عَنْهُمْ وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ ﴿۸۵﴾ وَ
اِذَا رَاَ الَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا شُرَكَآءَهُمْ قَالُوْا رَبَّنَا هٰٓؤُلَآءِ
شُرَكَآؤُنَا الَّذِيْنَ كُنَّا نَدْعُوْا مِنْ دُوْنِكَ ج فَاَلْقَوْا

---

هر گاه تم لوکه امه پته ته بُته پهرن، پس تو به چهو نه مڙهِ مگر تبليغ کرن ٺن پاٺ ته صاف پاڙهِ يَعْرِفُوْنَ نِعْمَتَ اللّٰهِ ثُمَّ يُنْكِرُوْنَهَا وَاَكْثَرُهُمُ الْكٰفِرُوْنَ تم لوکه چهِ پرزه ناوان خدايه سنز نعمت تو پته چهِ زانته کرِ ته تته نعمس اِنکار کران۔ يُس برتاو منعمس سيتِ کرن گژهه ليعني عبادت ته اطاعت سو چهو تس ورای بين سيتِ کران تمو اندره چهِ وارياه کافر وَيَوْمَ نَبْعَثُ مِنْ كُلِّ اُمَّةٍ شَهِيْدًا بيه پاوِ ژيتس تمه دوهه اَسِ تلون پريته اُمته خيطره اکه اکه گواه، سو گو تمهِ امتک پيغمبر قيامتک دوه ثُمَّ لَا يُؤْذَنُ لِلَّذِيْنَ كَفَرُوْا تو پته ييهِ نه کافرن اِجازت دِنه کته کرنک عذر و معذرت پيش کرنک قيامتک دوه وَلَا هُمْ يُسْتَعْتَبُوْنَ نه ييهِ تمن نشهِ عذر طلب کرنه ييهِ تمن وننه که الله تعالیٰ کريون راضی،، توبه کرِو، ياکانهه رژ عمل کرِو کيازِه تمهِ کته آسن کامژه، آخرت چهو دارُالجزا سو چهو نه دارُالعمل وَاِذَا رَاَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوا الْعَذَابَ فَلَا يُخَفَّفُ عَنْهُمْ وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ توه پته يلهِ وچهن ظالمِ تمهِ دوهه عذاب، پس نه ليهِ تمن تته عذابس منز کمی کرنه، نه ايکه مهلت دِنه وَاِذَا رَاَ الَّذِيْنَ اَشْرَكُوْا شُرَكَآءَهُمْ بيهِ يلهِ مشرکن نظر پيهِ تمن شريکن پيٹھ تمن تم ٹھهراوان آسِ خدايه سندِ شريک قَالُوْا رَبَّنَا هٰٓؤُلَآءِ شُرَكَآؤُنَا الَّذِيْنَ كُنَّا نَدْعُوْا مِنْ دُوْنِكَ دپنهِ لگن پروردگارا ئے کياه چهِ تمِ شريک تمن اَسِ پرستش ته عبادت کران آسِ ژه ورایِ فَاَلْقَوْا اِلَيْهِمُ الْقَوْلَ اِنَّكُمْ لَكٰذِبُوْنَ پس کرن تمِ معبودانِ باطل تمن کافرن سيت کته۔ دپنکه تهه چهوه بڈا پزِ زير۔ اَسِ کر آسوه توهه ونان که توهِ کرِتو

إِلَيۡهِمُ ٱلۡقَوۡلَ إِنَّكُمۡ لَكَٰذِبُونَ ﴿٨٦﴾ وَأَلۡقَوۡاْ إِلَى ٱللَّهِ
يَوۡمَئِذٍ ٱلسَّلَمَۖ وَضَلَّ عَنۡهُم مَّا كَانُواْ يَفۡتَرُونَ ﴿٨٧﴾
ٱلَّذِينَ كَفَرُواْ وَصَدُّواْ عَن سَبِيلِ ٱللَّهِ زِدۡنَٰهُمۡ عَذَابٗا
فَوۡقَ ٱلۡعَذَابِ بِمَا كَانُواْ يُفۡسِدُونَ ﴿٨٨﴾ وَيَوۡمَ نَبۡعَثُ فِي كُلِّ
أُمَّةٖ شَهِيدًا عَلَيۡهِم مِّنۡ أَنفُسِهِمۡۖ وَجِئۡنَا بِكَ شَهِيدًا
عَلَىٰ هَٰٓؤُلَآءِۚ وَنَزَّلۡنَا عَلَيۡكَ ٱلۡكِتَٰبَ تِبۡيَٰنٗا لِّكُلِّ شَيۡءٖ وَ
هُدٗى وَرَحۡمَةٗ وَبُشۡرَىٰ لِلۡمُسۡلِمِينَ ﴿٨٩﴾ إِنَّ ٱللَّهَ يَأۡمُرُ

---

اَسہِ پرستش یا تُوہِ منگتو اَسہِ پنن حاجت۔ تہٕ آسوہ پننہِ نفسہ چہ خواہشہِ تہٕ شیطانہ سندہِ وننہ مُوجب تمِ چیز کران وَأَلۡقَوۡاْ إِلَى ٱللَّهِ يَوۡمَئِذٍ ٱلسَّلَمَۖ وَضَلَّ عَنۡهُم مَّا كَانُواْ يَفۡتَرُونَ بیہِ تراون تمہِ دوہہ کافِر خدایَس برونٹھکن، اطاعت و صلحکِ معاملہ۔ بیہِ مشکھ تمِ ساری چیز تمِ دُنیاءِ س منز پانے ٹُھراوان آسِ ٱلَّذِينَ كَفَرُواْ وَصَدُّواْ عَن سَبِيلِ ٱللَّهِ زِدۡنَٰهُمۡ عَذَابٗا فَوۡقَ ٱلۡعَذَابِ بِمَا كَانُواْ يُفۡسِدُونَ ییم لوکھ اکھ کفر کران آسِ۔ بیہِ آس پتھ رٹان بین لُوکن خدایہ سنزِ ہِ وتہِ نشہِ یعنی اسلام قبول کرنہ نشہِ تمن ہُرہ راوواسِ عذابس پیٹھ عذاب۔ کیازِہ تمِ آسِ تباہی تہٕ بُربادی عالمس منز پھیلاوان لُوکن اسلامہ نشہِ پتھ رٹنہ سیتِ وَيَوۡمَ نَبۡعَثُ فِي كُلِّ أُمَّةٖ شَهِيدًا عَلَيۡهِم مِّنۡ أَنفُسِهِمۡۖ بیہِ پاوِ وسُو دوہ ژٕیتس ییمہ دوہہ اسِ تلون پریتھ اُمتس منز تموی منزہ اکھ گواہ یعنی پریتھ امتک پیغمبر وَجِئۡنَا بِكَ شَهِيدًا عَلَىٰ هَٰٓؤُلَآءِۚ بیہِ انووہ تہٕ تہِ یارسُول اللہ گواہ تمِن لوکن ہندِہ خیطرہ یعنی پننہِ امتہ خیطرہ ییتھ تہٕ فرماویوکھ کمو مُون تہنُد، کمو کورِ انکار وَنَزَّلۡنَا عَلَيۡكَ ٱلۡكِتَٰبَ تِبۡيَٰنٗا لِّكُلِّ شَيۡءٖ وَهُدٗى وَرَحۡمَةٗ وَبُشۡرَىٰ لِلۡمُسۡلِمِينَ بیہِ کرنازِل اَسہِ توہہِ پیٹھ یارسول اللہ یہِ بڈ کتاب ییتھ منز سارکوی بیان چھو بیہِ بوڈ ہدایت۔ بڈ رحمت تہٕ بڈ بشارت ایمانچ مسلمانن ہندِہ خیطرہ إِنَّ ٱللَّهَ يَأۡمُرُ بِٱلۡعَدۡلِ وَٱلۡإِحۡسَٰنِ

بِالْعَدْلِ وَالْاِحْسَانِ وَاِيْتَآئِ ذِی الْقُرْبٰی وَيَنْهٰی عَنِ
الْفَحْشَآءِ وَالْمُنْكَرِ وَالْبَغْیِ يَعِظُكُمْ لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ ﴿٩٠﴾ وَ
اَوْفُوْا بِعَهْدِ اللّٰهِ اِذَا عٰهَدْتُّمْ وَلَا تَنْقُضُوا الْاَيْمَانَ
بَعْدَ تَوْكِيْدِهَا وَقَدْ جَعَلْتُمُ اللّٰهَ عَلَيْكُمْ كَفِيْلًا ؕ اِنَّ اللّٰهَ
يَعْلَمُ مَا تَفْعَلُوْنَ ﴿٩١﴾ وَلَا تَكُوْنُوْا كَالَّتِیْ نَقَضَتْ غَزْلَهَا
مِنْۢ بَعْدِ قُوَّةٍ اَنْكَاثًا ؕ تَتَّخِذُوْنَ اَيْمَانَكُمْ دَخَلًاۢ بَيْنَكُمْ اَنْ

---

وَاِيْتَآئِ ذِی الْقُرْبٰی پزِپاٹھ اللہ تعالیٰ چھو حُکم کران عدل تہٕ انصاف کرنک بیٖہ نیکی کرنُک بیٖہ آشنا
ون اِمداد کرنُک۔ وَيَنْهٰی عَنِ الْفَحْشَآءِ وَالْمُنْكَرِ وَالْبَغْیِ بیٖہ چھُو اللہ تعالیٰ منع کران بیچھ کامیو نشہِ بیٖہ
خلاف شرع کامیو نشہِ بیٖہ سرکشی تہٕ بغاوتہٕ نشہِ یعنی لوکن ظلم وستم کرنہ نشہِ یَعِظُكُمْ لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ
اللہ تعالیٰ چھُو وعظ پران، نصیحت کران یُتھ تہٕ سو نصیحت قبول کرِو وَاَوْفُوْا بِعَهْدِ اللّٰهِ اِذَا عٰهَدْتُّمْ
بیٖہ کرِو وفا خدایہِ سندِس عہدس یمہ عہدہ کہ پوٗرہ کرنک شریعت حُکم کران چھُو۔ بیٖہ یلہِ پانہ وان عہد
آسوِ کران وَلَا تَنْقُضُوا الْاَيْمَانَ بَعْدَ تَوْكِيْدِهَا بیٖہِ مہ آسوِ قسم پھِڑاوان سُہ مضبوط کرنہ پتہٕ۔ تتھ
منز آسوہ خدایہِ سُند ناوتہِ درمیانس منز اونمُت یمہ سیتِ قسم مضبوط چھُو سپدان وَقَدْ جَعَلْتُمُ اللّٰهَ
عَلَيْكُمْ كَفِيْلًا اللہ تعالیٰ آسون تھوومُت گواہ تہِ اِنَّ اللّٰهَ يَعْلَمُ مَا تَفْعَلُوْنَ پزِپاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو
زانان تہِ سورُوی یہ تُہہ کران چھوہ۔ تَس نشہِ تھَنُدُ کانہہ چیز پوٗشیدہ چھُونہ۔ وَلَا تَكُوْنُوْا كَالَّتِیْ
نَقَضَتْ غَزْلَهَا مِنْۢ بَعْدِ قُوَّةٍ اَنْكَاثًا بیٖہ مہ آسوِ تُہہ اَے لُوکو قسم پھِڑاونہ سیتِ مکہ شریفچہ تس دیوانہ
زنانہِ ہی بنان یوٗسہ ژٹان آس پنُن کومُت، مضبوٗط کرنہ پتہٕ، ٹُکرہ ٹُکرہ تَتَّخِذُوْنَ اَيْمَانَكُمْ دَخَلًاۢ
بَيْنَكُمْ یتھے پاٹھ چھِوہ تُہہ بناوان قسم پنِنِ پانواِنِ فساد کرنہ خیٖطرہ اکھ بہانہ تہٕ ذریعہ اَنْ تَكُوْنَ اُمَّةٌ هِیَ
اَرْبٰی مِنْ اُمَّةٍ یُتھ سپدِہ اکھ جماعت بارہ تعدادس تہٕ قوتس اندر بیٖہِ جماعتہ خوتہ۔ تُہہ کرِو تمہِ ساتہ رعایت
زور آور جماعتُک۔ قُسمک کرِونہ تُہہ کانہہ خیال اِنَّمَا يَبْلُوْكُمُ اللّٰهُ بِهٖ امہ سیتِ چھُونہ مگر چھُو امتحان

تَكُوْنَ اُمَّةٌ هِيَ اَرْبٰى مِنْ اُمَّةٍ ۭ اِنَّمَا يَبْلُوْكُمُ اللّٰهُ بِهٖ ۭ وَلَيُبَيِّنَنَّ
لَكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ مَا كُنْتُمْ فِيْهِ تَخْتَلِفُوْنَ ﴿٩٢﴾ وَلَوْ شَآءَ
اللّٰهُ لَجَعَلَكُمْ اُمَّةً وَّاحِدَةً وَّلٰكِنْ يُّضِلُّ مَنْ يَّشَآءُ
وَيَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ ۭ وَلَتُسْـَٔلُنَّ عَمَّا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿٩٣﴾
وَلَا تَتَّخِذُوْٓا اَيْمَانَكُمْ دَخَلًۢا بَيْنَكُمْ فَتَزِلَّ قَدَمٌۢ بَعْدَ
ثُبُوْتِهَا وَتَذُوْقُوا السُّوْٓءَ بِمَا صَدَدْتُّمْ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ۚ وَ
لَكُمْ عَذَابٌ عَظِيْمٌ ﴿٩٤﴾ وَلَا تَشْتَرُوْا بِعَهْدِ اللّٰهِ ثَمَنًا قَلِيْلًا ۭ

---

کران توہہ اللہ تعالیٰ کہ قسم کرِتھ تہٕ معاہدہ کرتھ کروہ تِہُنہٕ قسمک رعایت کِنہ ظاہری حالاتن ہُند یاز بردست جماعتک۔ وَلَيُبَيِّنَنَّ لَكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ مَا كُنْتُمْ فِيْهِ تَخْتَلِفُوْنَ بیہ یُتھ توہہِ اللہ تعالیٰ نر راوِہ قیامتک دوہ تہٕ سورُی یتھ منز تِہُنہٕ اختلاف کران آسوہ وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ لَجَعَلَكُمْ اُمَّةً وَّاحِدَةً بیہِ ہرگاہ اللہ تعالیٰ یژھہِ ہا توہہِ سارنی کرہِ ہاکُنی جماعت اختلافہ ورای مگر تمسنز حکمت چھنہ تہِ یژھان وَّلٰكِنْ يُّضِلُّ مَنْ يَّشَآءُ وَيَهْدِيْ مَنْ يَّشَآءُ مگر سُو چھُو گمراہ کران یَس یژھان چھُو تس۔ بیہِ چھُہ ہدایت کران یَس یژھان چھُہ تَس وَلَتُسْـَٔلُنَّ عَمَّا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ بیہ لیہِ توہہِ ضرور پرژھنہ تمہِ سارہِ کوی یہِ تِہُنہٕ کران آسوہ وَلَا تَتَّخِذُوْٓا اَيْمَانَكُمْ دَخَلًۢا بَيْنَكُمْ فَتَزِلَّ قَدَمٌۢ بَعْدَ ثُبُوْتِهَا وَتَذُوْقُوا السُّوْٓءَ بِمَا صَدَدْتُّمْ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بیہِ چھُہ فرماوان اللہ تعالیٰ تاکیدہ خیطرٕ کہِ مہٕ بناویُوکھ قسم پننِ ذریعہ پانہ وانِ فسادکِ تہٕ فتنک۔ تمہِ سیتِ ڈلن تہندِ کھور تمن ہندہ دَرِرہ تہٕ مضبُوطی پتہٕ۔ بیہِ ژہوِ تمُک پچھ مزہ دُنیاءس اندر عذابس گرفتار سپَدنہ سیتِ کیازِہ توہہِ کیاہ کوروہ آیندہ ینہ والین ہندہ خیطرہ خدایہٕ سنزِ وَتھ بنَد وَلَكُمْ عَذَابٌ عَظِيْمٌ بیہِ چھُہ آخرتس اندر تہندی خیطرہ بوٚڈ عذاب وَلَا تَشْتَرُوْا بِعَهْدِ اللّٰهِ ثَمَنًا قَلِيْلًا بیہِ مہٕ آسوِ حاصِل کران خدایہِ سند قسم ہاوِتھ دنیاہک کم مال اِنَّمَا عِنْدَ اللّٰهِ هُوَ خَيْرٌ

اِنَّمَا عِنۡدَ اللّٰهِ هُوَ خَيۡرٌ لَّكُمۡ اِنۡ كُنۡتُمۡ تَعۡلَمُوۡنَ ﴿۹۵﴾ مَا عِنۡدَكُمۡ يَنۡفَدُ وَمَا عِنۡدَ اللّٰهِ بَاقٍ ؕ وَلَنَجۡزِيَنَّ الَّذِيۡنَ صَبَرُوۡۤا اَجۡرَهُمۡ بِاَحۡسَنِ مَا كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ ﴿۹٦﴾ مَنۡ عَمِلَ صَالِحًا مِّنۡ ذَكَرٍ اَوۡ اُنۡثٰى وَهُوَ مُؤۡمِنٌ فَلَنُحۡيِيَنَّهٗ حَيٰوةً طَيِّبَةً ۚ وَلَنَجۡزِيَنَّهُمۡ اَجۡرَهُمۡ بِاَحۡسَنِ مَا كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ ﴿۹۷﴾ فَاِذَا قَرَاۡتَ الۡقُرۡاٰنَ فَاسۡتَعِذۡ بِاللّٰهِ مِنَ الشَّيۡطٰنِ الرَّجِيۡمِ ﴿۹۸﴾ اِنَّهٗ لَيۡسَ لَهٗ سُلۡطٰنٌ عَلَى الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَلٰى رَبِّهِمۡ

---

لَّكُمۡ اِنۡ كُنۡتُمۡ تَعۡلَمُوۡنَ پزِ پاٹھ یُس ثواب تہ مزورِ خدا ئس نشہِ چھہ سو چھہ بہتر تہٕندہِ خیطرہ ہرگاہ توہہ زانٕن ہیکہو ما عِنۡدَكُمۡ يَنۡفَدُ وَمَا عِنۡدَ اللّٰهِ بَاقٍ یہ توہہِ نشہِ چھہ مالِ دنیاء اندر تہ سوری چھہ موکلہ وٕن تہ ختم گژھ وٕن۔ یہ اللہ تعالیٰ اَس نشہِ چھہ باقی تہ پوشہ وٕن۔ سہ موکلی نہ زانہہ۔ وَلَنَجۡزِيَنَّ الَّذِيۡنَ صَبَرُوۡۤا اَجۡرَهُمۡ بِاَحۡسَنِ مَا كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ بیہ دِمَو اَسِ صبر تہ استقامت کرہ وٕنین مزورِ تہٕنزن رژن کامین تہ عملن ہُند بدلہ مَنۡ عَمِلَ صَالِحًا مِّنۡ ذَكَرٍ اَوۡ اُنۡثٰى وَهُوَ مُؤۡمِنٌ فَلَنُحۡيِيَنَّهٗ حَيٰوةً طَيِّبَةً یُس دنیاءس اندر رژ عمل کرن مرد یا زنانو اندرہ با ایمان آستھ پس کرو اَسِ تمن عطا رژ زندگیاہ دُنیاءس اندر وَلَنَجۡزِيَنَّهُمۡ اَجۡرَهُمۡ بِاَحۡسَنِ مَا كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ بیہ دِموکھ اَسِ پنُنِ مزور تمن رژن کامین بدلہ یمہ تم کران آسِ فَاِذَا قَرَاۡتَ الۡقُرۡاٰنَ فَاسۡتَعِذۡ بِاللّٰهِ مِنَ الشَّيۡطٰنِ الرَّجِيۡمِ پس یلہِ تِہہ ای پیغمبر برحق قرآن مجید پرٕن ہیوان آسو پس گژھہ پناہ منگن اللہ تعالیٰ اَس مردود شیطانس نشہِ۔ اِنَّهٗ لَيۡسَ لَهٗ سُلۡطٰنٌ عَلَى الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَلٰى رَبِّهِمۡ يَتَوَكَّلُوۡنَ پزِ پاٹھ تَس شیطانس چھنہ کانہہ طاقت با ایمانن پیٹھ بیہ یم پنہ نِس پروردگارس پیٹھ اعتماد تہ تکیہ کرہ وٕنِ آسن اِنَّمَا سُلۡطٰنُهٗ عَلَى الَّذِيۡنَ يَتَوَلَّوۡنَهٗ وَالَّذِيۡنَ هُمۡ بِهٖ مُشۡرِكُوۡنَ شیطانہ سُند زور چھنہ چلان مگر تمنی پیٹھ یم تس سیتِ یارانہ

يَتَوَكَّلُوْنَ ﴿٩٩﴾ اِنَّمَا سُلْطٰنُهٗ عَلَى الَّذِيْنَ يَتَوَلَّوْنَهٗ وَالَّذِيْنَ هُمْ بِهٖ مُشْرِكُوْنَ ﴿١٠٠﴾ وَاِذَا بَدَّلْنَآ اٰيَةً مَّكَانَ اٰيَةٍ ۙ وَّ اللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا يُنَزِّلُ قَالُوْٓا اِنَّمَآ اَنْتَ مُفْتَرٍ ؕ بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿١٠١﴾ قُلْ نَزَّلَهٗ رُوْحُ الْقُدُسِ مِنْ رَّبِّكَ بِالْحَقِّ لِيُثَبِّتَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَهُدًى وَّبُشْرٰى لِلْمُسْلِمِيْنَ ﴿١٠٢﴾ وَلَقَدْ نَعْلَمُ اَنَّهُمْ يَقُوْلُوْنَ اِنَّمَا يُعَلِّمُهٗ بَشَرٌ ؕ لِسَانُ الَّذِيْ يُلْحِدُوْنَ اِلَيْهِ اَعْجَمِيٌّ وَّهٰذَا لِسَانٌ عَرَبِيٌّ مُّبِيْنٌ ﴿١٠٣﴾

---

لاگن۔ بيہ تن پيٺ تہ کين خدا ايس شريڪ ٺهراون وَاِذَا بَدَّلْنَآ اٰيَةً مَّكَانَ اٰيَةٍ وَّ اللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا يُنَزِّلُ قَالُوْٓا اِنَّمَآ اَنْتَ مُفْتَرٍ بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ بيہ يلہ اُن اُها آيہ ڪريمہ جي جايہ بيا کہ آيہ ڪريمہ نازل ڪران ٿا ۽ الله تعاليٰ اِي ٿو بهتر ڄاڻان تن احڪامن هنن مصلحتيم سُہ نازل ڪران ٿو۔ تہ ساتہ ٿو ڪافر ونان توهہ يارسول الله تہ ڇهوہ نہ مگر پنهنہ طرفہ تيمہ ٿہ ٺهراوان۔ في الحقيقت ٿو وارياہ تمو اندرہ بے خبر قُلْ نَزَّلَهٗ رُوْحُ الْقُدُسِ مِنْ رَّبِّكَ بِالْحَقِّ تہ فرمايو کہ يارسول الله، وول يہ قرآن مجيد جبريلِ امين يُس پاک رُوح ٿو تهندس پروردگارہ سندہ طرفہ پزپاٹِ لِيُثَبِّتَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَهُدًى وَّبُشْرٰى لِلْمُسْلِمِيْنَ يُتهہ باايمانن هندِ دِل مضبوط ڪرِہ بيہ ٿو يہ قرآن مجيد ٻڊ هدايت تہ بڊبشارت مسلمانن هندہ خيطرہ وَلَقَدْ نَعْلَمُ اَنَّهُمْ يَقُوْلُوْنَ اِنَّمَا يُعَلِّمُهٗ بَشَرٌ بيہ ٿو اَسہ معلوم کہ تمِ دُشمن ٿو ونان امس پيغمبرس ڇهنہ ڇهہ ناوان مگر ڪانہ زانن وول اِنساناہ۔ خيال اوسُهہ ڪينژن يهودي يا نصراني غلامن هند۔ الله تعاليٰ ٿو تهندس اُتهہ باطِل خيالس رد ڪران۔ فرماوان ٿو لِسَانُ الَّذِيْ يُلْحِدُوْنَ اِلَيْهِ اَعْجَمِيٌّ وَّهٰذَا لِسَانٌ عَرَبِيٌّ مُّبِيْنٌ اے بے وقوفو يس غلامس نشِہ تہ تمن پهچهنچ تہ

فِيْ مِلَّتِهِمْ وَلَنْ تُفْلِحُوْٓا اِذًا اَبَدًا ﴿۲۰﴾ وَكَذٰلِكَ اَعْثَرْنَا عَلَيْهِمْ لِيَعْلَمُوْٓا اَنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ وَّاَنَّ السَّاعَةَ لَا رَيْبَ فِيْهَا ۚ اِذْ يَتَنَازَعُوْنَ بَيْنَهُمْ اَمْرَهُمْ فَقَالُوا ابْنُوْا

---

منز ہیکو نہ تُہہ زانہہ کامیاب سپدِ تھ وَكَذٰلِكَ اَعْثَرْنَا عَلَيْهِمْ یتھے پاٹھِ کٔر اَسہِ پننہِ قُدرت و حکمتہ سیتِ مُطّلع تہندِ س حالس پیٹھ تمہِ زمانک لُوکھ۔ کیازِہ تمو منزہ یلہِ سُو اکھ شخص امہِ شہرہ کس بازرس منز ووت کھینہ چیز مٔولِ ہینہ خیطرہ۔ وانہ والس دکاندارس دِیت تمِ طعامک قیمت۔ سو آس دقیانُوسی روپے۔ دقیانُوس پادشہہ سندِ ہ وقتہ پیٹھ اوس واریاہ کال گومُت۔ واریاہ پادشاہ آسِ اتھ وقس تانِ بدلیمت۔ سُو دکاندار گو حیران پرانہِ وچھ روپے وچھت۔ تمِ پرُ ژھس ژیہ کتہِ چھے انمژیہ روپے۔ ژیہ آسی گھرس منز خزانہ درامُت۔ سُو گو حیران یہ کیاہ چھُو مہ ونان۔ تمِ دوپُس مہِ چھہ اوترہ مال سندِ ہ گرہِ پانس سیتِ خرچہِ خیطرہ تُجمُت۔ یہ روپے۔ ژہ کیاہ چھُکھ مہِ ونان۔ یُہند یہ گفتگو بُوز بیو لُوکو۔ یکدم کٔیہ سارسی بازرس اچھ خبر۔ واتان واتان واژ یہ خبر پولیس تھانس تانِ۔ تمو کور یہ شخص گرفتار۔ پرُ ژھہ ہَس مالس کیاہ چھُوی ناو۔ تمِس زانہانہ امہِ وقتہ کیو لُوکو اندرہ کانہہ تہِ۔ تو پتہ یلہِ تمو سُو سخت تنگ کور۔ تٔم دوپھ مہ نیو دقیانوس پادشہس نشہِ تمِس چھہ میانہِ حالچ خبر۔ تمِس آسِ تقریباً ترہ ہتھ ؤری گامتِ مُوتس۔ لُوکو ہتس ٹھٹھ کرنِ۔ واتان واتان ووت یہ قِصہّ امہِ وقتہ کِس پادشہس نشہِ۔ تس نشہِ تہِ وون امہِ شخصن یُوہے قصہِ۔ پادشہن کٔر جمع پننِ ساری اہلِ کار تہ تمہِ شہرکِ رئیس لُوکھ تمِ ساری ہیتھ آو سُو اتھ گوپھہِ نشہِ۔ یتہ امسندِ باقی رفیق آسِ۔ پادشہن کڈہ ناو سو ترامہ پیٹ شاہی خزانہ منزہ یتھ پیٹھ تمن سارنی ہندِ ناو آسِ مع ولدیت کھنہ آمت۔ سو ترامہ پیٹ انِ پانس سیت لِيَعْلَمُوْٓا اَنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ یُتھ لُوکھ زانن کہ پیٹز پاٹھِ خدایہِ سند وعدہ چھُو حق تہ پوز۔ یُس تمِ مرنہ پتہ بیہ زندہ سپدنس متعلق کورمُت چھُو وَّاَنَّ السَّاعَةَ لَا رَيْبَ فِيْهَا بیہ یُتھ لُوکھ زانن کہ قیامتہ کِس یِنس منز چھُونہ کانہہ شکھا اِذْ يَتَنَازَعُوْنَ بَيْنَهُمْ اَمْرَهُمْ یہ کتھ تہ چھہ قابلِ ذِکر یلہِ تمہِ وقتک لُوکھ تہندِ س مُعاملس منز آسِ پانہ وانِ قضیہ تہ تنازعہ کران۔ بعضی آسِ ونان امہِ گوپھہ ہُند گول گرٕ و بند یتھ بدن تمن اصحاب کہفن ہندِ محفوظ روزن۔ تہندِ س یادگارس منز بناوَوا تھ گوپھہِ سیتِ اکھ مسجداہ یتھ منز لُوکھ خدایہِ سنز عبادت

عَلَيۡهِمۡ بُنۡيَانًا ؕ رَبُّهُمۡ اَعۡلَمُ بِهِمۡ ؕ قَالَ الَّذِيۡنَ غَلَبُوۡا عَلٰۤى اَمۡرِهِمۡ لَنَـتَّخِذَنَّ عَلَيۡهِمۡ مَّسۡجِدًا ﴿۲۱﴾ سَيَـقُوۡلُوۡنَ ثَلٰثَةٌ رَّابِعُهُمۡ كَلۡبُهُمۡ ۚ وَيَقُوۡلُوۡنَ خَمۡسَةٌ سَادِسُهُمۡ كَلۡبُهُمۡ رَجۡمًۢا بِالۡغَيۡبِ ۚ وَيَقُوۡلُوۡنَ سَبۡعَةٌ وَّثَامِنُهُمۡ كَلۡبُهُمۡ ؕ قُلْ رَّبِّىۡۤ اَعۡلَمُ بِعِدَّتِهِمۡ مَّا يَعۡلَمُهُمۡ اِلَّا قَلِيۡلٌ ۙ فَلَا تُمَارِ فِيۡهِمۡ

---

کران آهن۔ یہ گو تمي وقتہ لوک آسِ مرنہ پتہ بیہ زِندہ سپد نہ کس مسئلس منز اختلاف کران۔ اللہ تعالیٰ ان کور اصحاب کہفن ہندِ واقعہ سیتِ اتھ مسئلس منز فیصلہ۔ چنانچہِ اکثر لوکو اون قیامتس ایمان مرنہ پتہ بیہِ۔ زِندہ سپدنس کئر کھ پڑھ فَقَالُوا ابۡنُوۡا عَلَيۡهِمۡ بُنۡيَانًا پَس دوپ لوکو کہ کھارِو تمن پیٹھ اکھ عمار تھاہ رَبُّهُمۡ اَعۡلَمُ بِهِمۡ تہند پروردگاری اُوس زانان تہندِ حالات قَالَ الَّذِيۡنَ غَلَبُوۡا عَلٰۤى اَمۡرِهِمۡ لَنَـتَّخِذَنَّ عَلَيۡهِمۡ مَّسۡجِدًا بالآخرِ تِم لوکھ پنہ نس خیالس پیٹھ غلبہ لبان آسِ تِم گئے اہل حکومت۔ تم آسِ امہِ وقتہ دینِ حقس پیٹھ۔ تموکور ارادہ اَسِ بناوَوا تھ گوپھہِ متصل اکھ مسجد اہ یُوسہ مسجد۔ روزِہ علامت یمہِ کتھہِ ہُند کہ یِم لوکھ یعنی اصحاب کہف چھہِ آسئمتِ خدا لیہِ سندِ بندہَ خاص خدا لیس عبادت کرہ ون۔ تا اینکہ تِمن بناوہ نہ کانہہ معبود سَيَـقُوۡلُوۡنَ ثَلٰثَةٌ رَّابِعُهُمۡ كَلۡبُهُمۡ وَيَقُوۡلُوۡنَ خَمۡسَةٌ سَادِسُهُمۡ كَلۡبُهُمۡ رَجۡمًۢا بِالۡغَيۡبِ یمہِ وقتہ اصحابِ کہفن ہُند قِصہّ اَسِ بیان گرِو تمہِ وقتہ ونِن لوکھ تہندِ س تعدادس متعلق مختلف کتھہ بعضی دِپن تِم اصحاب کہف آسِ ترہ نفر ژورِ یُم اوسکھ ہُون بیہِ ونِن بعضی تِم آسِ پانژھ نفر شیُم اوسُکھ ہُون۔ مگر یمن دوشونِ جماعتن ہُند ونُن چھُو بے دلیل تہ بے تحقیق۔ یہ گو نشانہ ڈچھنے، اچھہِ وٹتھ کنہِ لائنہِ وَيَقُوۡلُوۡنَ سَبۡعَةٌ وَّثَامِنُهُمۡ كَلۡبُهُمۡ بعضے چھہِ ونان تِم آسِ ستھ نفر اوٹھیُم اوسکھ ہُون قُلْ رَّبِّىۡۤ اَعۡلَمُ بِعِدَّتِهِمۡ مَّا يَعۡلَمُهُمۡ اِلَّا قَلِيۡلٌ تُہہ فرماویوکھ یا رسُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم میون پروردگاری چھُو زیادہ زانان تہندِ س شمارس تعدادس۔ لوکو منزہ زانن نہ تُہندِ صحیح تعداد مگر کمی کینہہ اشخاص۔ حضرتِ عبداللہ بن عباس آس فرماوان بو تہ چھُس تمو اشخاصو اَندرہ اکھ شخص۔

إِلَّا مِرَآءً ظَاهِرًا ۖ وَّلَا تَسْتَفْتِ فِيهِم مِّنْهُمْ أَحَدًا ﴿٢٢﴾
وَلَا تَقُولَنَّ لِشَاْيْءٍ إِنِّي فَاعِلٌ ذَٰلِكَ غَدًا ﴿٢٣﴾ إِلَّآ أَن يَشَآءَ
اللَّهُ ۚ وَاذْكُر رَّبَّكَ إِذَا نَسِيتَ وَقُلْ عَسَىٰٓ أَن يَهْدِيَنِ
رَبِّي لِأَقْرَبَ مِنْ هَٰذَا رَشَدًا ﴿٢٤﴾ وَلَبِثُوا فِي كَهْفِهِمْ
ثَلَٰثَ مِائَةٍ سِنِينَ وَازْدَادُوا تِسْعًا ﴿٢٥﴾ قُلِ اللَّهُ أَعْلَمُ بِمَا

---

مہ چھو معلوم تم کترہ نفر آس۔ تمِ آسِ ستھ نفر۔ اوٹھیم اوسکھ ہون کیازِہ اتھ قولس فرموونہ اللہ تعالیٰ ان رجماً بالغیب فَلَا تُمَارِ فِيهِمْ إِلَّا مِرَآءً ظَاهِرًا پس مہ ہز کرِ و بحث تمن اصحابِ کہفن متعلق مگر سرسری پاٹھِ۔ زیادہ مہ سٹو اتھ اندر وَلَا تَسْتَفْتِ فِيهِم مِّنْهُمْ أَحَدًا بیہ مہ حض پرژھو یمن اصحابِ کہفن ہُند کانسہِ اَکِس لوکو اندرہ۔ یہندِہ تعداد ک تحقیق کرنس اندر تہِ چھونہ کانہہ فائیدہ۔ نہ کانہہ اہم مطلباہ۔ ایژہن اتھ متعلق خداین بیان فرموو تیژ ہن چھہ کافی۔ مُشرکو پُرژھ حضرتِ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم یہودِن ہندِہ تحریکہِ سیتِ اصحابِ کہفن ہُند قصہّ۔ تمو فرموو ہکھ پگاہ ونوِہ امیُک جواب انشاء اللہ فرموو کھ نہ اتھ سیتِ کینہہ تہِ۔ خیال کورُکھ کہ جبریلِ امین ایہِ تس پرژھو تمہِ پتہ ونو یمن لوکن جواب جبریلِ امین اوس نہ یوان پانے پننہِ خواہشہِ۔ سُو اوس یوان خدایہ سندی حُکمہ۔ امہِ پتہ آو نہ جبریل امین پندہن دوہن تانِ کینہہ۔ نبی کریم سپد سیٹھاہ غمگین تہ پریشان۔ پندہہِ دُہہِ آو جبریلِ امین یہ آئیہ کریمہ ہیتھ۔ وَلَا تَقُولَنَّ لِشَاْيْءٍ إِنِّي فَاعِلٌ ذَٰلِكَ غَدًا * إِلَّآ أَن يَشَآءَ اللَّهُ بیہ مہ حض آسِو کُنہِ چیزہ خیطرہ ونان بہ گرہ یہ کوم پگاہ۔ مگر آسِو تتھ سیتِ ونان انشاء اللہ۔ یوژھے خداین وَاذْكُر رَّبَّكَ إِذَا نَسِيتَ بیہ یلہِ توہہِ اتفاقاً انشاء اللہ پرن مشِت آسہِ گژھان تو پتہ آسہِ کُنہِ ساتہ تُہہ یاد پیوان تمی ساتہ گژھہ تہند انشاء اللہ پرن وَقُلْ عَسَىٰٓ أَن يَهْدِيَنِ رَبِّي لِأَقْرَبَ مِنْ هَٰذَا رَشَدًا بیہِ ونو کہ مہِ چھہ امید کہِ میون پروردگار ہاوِہ مہِ وتھ اصحاب کہفن ہندِہ قصہّ خوتہ کُنہِ نزدیک اَمرس کُن یُس نبوتچ دلیل بنہ خیطرہ زیادہ مُفید آسہِ وئِنِ اوس بیاکھ مسئلہ کہِ تِم اصحاب کہف کتیس کالس رُودِ اتھ

لَبِثُوْا ۚ لَهٗ غَيْبُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ اَبْصِرْ بِهٖ وَاَسْمِعْ ؕ مَا لَهُمْ مِّنْ دُوْنِهٖ مِنْ وَّلِيٍّ ؗ وَّلَا يُشْرِكُ فِيْ حُكْمِهٖۤ اَحَدًا ﴿٢٦﴾ وَاتْلُ مَاۤ اُوْحِيَ اِلَيْكَ مِنْ كِتَابِ رَبِّكَ ؕ لَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِهٖ ۚ قف

غار س اندر۔ تتھ متعلق چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان وَلَبِثُوْا فِيْ كَهْفِهِمْ ثَلٰثَ مِائَةٍ سِنِيْنَ وَازْدَادُوْا تِسْعًا بیہ یتھ پاٹھِ اصحاب کہفن ہندِس تعداد س پیٹھ لُوکن اختلاف اوس یتھے پاٹھِ اوس لوکن اختلاف تہنزِ ہ گوپھِ اندر نندرِ ہندِس مُدتس اندر اَسِ پچھہ بیان کران امرِ واقعی سُو گوا یہِ رُودِ اصحاب کہف اتھ گوپھِ اندر شونگت ترین ہتن وَرِہَن۔ بیہ ہرہ راوِہس نووری سُو گو ترن ور ہن تہ نون وَرِہَن قُلِ اللّٰهُ اَعْلَمُ بِمَا لَبِثُوْا تُہہ فرماوِیُو کھ یار سول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم اللہ تعالیٰ ی چھہ زیادہ اچھ خبر اللہ تعالیٰ اس گژھنا پُور خبر آسن لَهٗ غَيْبُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ کیازِہ تِنٚس چھُو آسمان وزمینن ہندین سارنی پُوشیدہ حالاتن ہُند علم اَبْصِرْ بِهٖ وَاَسْمِعْ کو تاہ زیادہ وچھہ ڈن چھُو سُو۔ کو تاہ زیادہ بوزہ ڈن چھُو سُو۔ سُبحان اللہ۔ کانہہ کتھاہ چھا تس نشہِ کھٹت تہ پوشیدہ۔ ہرگاہ کانہہ شخصاہ تسندِس علم محیطس سیت معارضہ گرِہ سُو چھُو مُستحق سزا و عذاب۔ سزا دِنکہ وقتہ ہیکہِ نہ کانہہ اکھاہ تمن کُنہِ قسمہ مددگار تھ مَا لَهُمْ مِّنْ دُوْنِهٖ مِنْ وَّلِيٍّ کانہہ اکھاہ چھُونہ تمولو کو منزہ آسمان وزمینہ کیو مخلو قو منزہ تس اکِس معبودِ برحقس ورای اختیارہ وول نہ کانہہ مالکِ۔ وَّلَا يُشْرِكُ فِيْ حُكْمِهٖۤ اَحَدًا بیہ چھُونہ سُو معبودِ برحق سیت رٹان، شریک تھاوان کانسہِ اکِس نہ عالم علویکو مخلو قو اندرہ نہ عالم سفلی کیو مخلو قو اندرہ۔ یعنی نہ کانسہِ ملکِ مُقربس۔ نہ کانسہ نبی مُرسلس پننہ نِس حُکمس اندر شریک رٹان۔ لہذا یتھس جلیل القدر عالیشان پادشہس گوژھہ سخت کھوژُن۔ تہندہِ مخالفتہ تہ نافرمانی نشہِ گوژھہ سیٹھاہ پتھ روزُن وَاتْلُ مَاۤ اُوْحِيَ اِلَيْكَ مِنْ كِتَابِ رَبِّكَ تُہنز کوم چھہ صرف یِہے کہِ تُہہ پٔریو پننہ نِس پروردگارہ سنز سو کتاب یُوسہ نازِل آیہ کرنہ تُوہہِ کُن بطریق وحی۔ فکرِ مہ آسِو کران بڈین بڈین لُوکن ہندِس مخالفت کرنس کُن۔ تہنزِ مخالفتہ سیتِ ماسپدہ دینچہ ترقی کرنس اندر کانہہ رُکاوٹ۔ دینچہِ ترقی ہُند چھُو اَسہِ تُوہہِ سیتِ وعدہ کورمُت۔ لہذا رُوزِو تُہہ مطمئن لَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِهٖ کانہہ اکھاہ چھُونہ ادلہ بدل کرہ ڈن تہندین حُکمن وعدن۔ ووِن ہرگاہ تُہہ کافرن ہنز دل جوئی کرِو یمہِ سیتِ احکامِ الٰہی متروک سپدنک امکان سپدِہ تلہِ

وَلَنْ تَجِدَ مِنْ دُوْنِهٖ مُلْتَحَدًا ﴿۲۷﴾ وَاصْبِرْ نَفْسَكَ مَعَ الَّذِيْنَ
يَدْعُوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَدٰوةِ وَالْعَشِيِّ يُرِيْدُوْنَ وَجْهَهٗ
وَلَا تَعْدُ عَيْنٰكَ عَنْهُمْ تُرِيْدُ زِيْنَةَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَ
لَا تُطِعْ مَنْ اَغْفَلْنَا قَلْبَهٗ عَنْ ذِكْرِنَا وَاتَّبَعَ هَوٰىهُ وَكَانَ
اَمْرُهٗ فُرُطًا ﴿۲۸﴾ وَقُلِ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكُمْ فَمَنْ شَآءَ فَلْيُؤْمِنْ

---

چھُو تہندِ ہ خیطرہ معاملہ سیٹھاہ مشکل۔ وَلَنْ تَجِدَ مِنْ دُوْنِهٖ مُلْتَحَدًا تہٕ صورتس اندر لبوٚنہٕ تُہہ کانہہ چھِپن جایہ پناہچ جایہ تَس ورای۔ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن ہُند کافرن ہنز دلجوئی احکام الٰہین مقابلہ کرن چھُو شرعی دلیلو سیتِ محال۔ یِہ آو بیان کرنہٕ صِرف یمہِ موکھ امیُک اثر چھُو امی قسمُک وَاصْبِرْ نَفْسَكَ مَعَ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَدٰوةِ وَالْعَشِيِّ يُرِيْدُوْنَ وَجْهَهٗ یتھ پاٹھِ حُکم آو کرنہٕ حضرتِ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلمن کہِ کافرن سیتِ مہ تھاوِو تعلق یتھے پاٹھِ آکھ حُکم کرنہٕ مسلمان فقیرن کُن زیادہ التفات و توجہ کرُنگ۔ بیہِ تھاوِو ہز زورہ پنُن ذاتِ مُبارک تِمنی لُوکن سیتِ یم صبح و شام یعنی ہمیشہ پنہ نِس پروردگارہ سنز عبادت چھہِ کران۔ یم ژھانڈان تہنُدوی رضا چھہ وَلَا تَعْدُ عَيْنٰكَ عَنْهُمْ بیہِ مہ ڈلن تُہند نظرِ مُبارک تِمن نِشہِ یعنی تِم تھاویوکھ ہمیشہ زیرِ نظر۔ تُرِيْدُ زِيْنَةَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا تُہہ چھوہ دُنیاچہِ زندگی ہُند زینت ژھانڈان۔ توہہِ پزِہ نہ تہِ کرن وَ لَا تُطِعْ مَنْ اَغْفَلْنَا قَلْبَهٗ عَنْ ذِكْرِنَا وَاتَّبَعَ هَوٰىهُ وَكَانَ اَمْرُهٗ فُرُطًا تُہہ مہ حض مانو تِمن لُوکن ہنزہ کتھ۔ فقیر با ایمان الگ کرنس متعلق۔ یمن ہندِ دل اَسہِ بطور سزا چھہ غافل کٔرمت پنہٕ ذکرہ نِشہِ پنہٕ یادہ نِشہ یمہِ سببہ تِموٚ دین حق قبول کورنہ۔ بیہِ تِم پنہ نین نفسہ چَن خواہش ہنز پیروی کران چھہِ۔ بیہ تِمَن ہُند حال اتباع ہواکرنس اندر حدّہ خوتہ زیادہ سپدُمت چھُو۔ یعنی نفسہ چہ خواہشہ ہنز پیروی کرنس اندر چھہِ تِم حدّہ ڈلمتِ۔ تہنز نی کتھن شُو بیاکن تھاوُن۔ بلکہ شوبن تِم پانس نِشہِ دفع کرنِ وَقُلِ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكُمْ بیہِ فرماویُوکھ تُہہ یا رسُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم تِمَن کافرن صاف پاٹھ یِہ دینِ حق چھُو تُہندِس

وَّمَنْ شَآءَ فَلْيَكْفُرْ ۚ اِنَّآ اَعْتَدْنَا لِلظّٰلِمِيْنَ نَارًا ۙ
اَحَاطَ بِهِمْ سُرَادِقُهَا ۭ وَاِنْ يَّسْتَغِيْثُوْا يُغَاثُوْا بِمَآءٍ
كَالْمُهْلِ يَشْوِي الْوُجُوْهَ ۭ بِئْسَ الشَّرَابُ ۭ وَسَآءَتْ مُرْتَفَقًا ﴿۲۹﴾
اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اِنَّا لَا نُضِيْعُ اَجْرَ مَنْ
اَحْسَنَ عَمَلًا ﴿۳۰﴾ ۚ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ جَنّٰتُ عَدْنٍ تَجْرِيْ مِنْ

---

پروردگارہ سندِہ طرفہ یُس مہِ توہہِ نِش واتہ نوو۔ فَمَنْ شَآءَ فَلْيُؤْمِنْ وَّمَنْ شَآءَ فَلْيَكْفُرْ وۄنِ یُس اکھاہ یژھہِ سُوکرِن پژھ۔ سُوائِنِ ایمان۔ یُس اکھاہ یژھہِ سُو رُوزِن کُفر سی پیٹھ۔ اَسہِ چھُونہ تتھ اندر نہ کانہہ نفع نہ کانہہ نقصان۔ بلکہ ایمان انہ نُک نفع چھُو توہہِ پانس۔ ایمان نہ انہ نُک، کُفر سی پیٹھ روز نُک نقصان تہ ضررتہِ چھُو توہہِ پانس۔ اِنَّآ اَعْتَدْنَا لِلظّٰلِمِيْنَ نَارًا اَحَاطَ بِهِمْ سُرَادِقُهَا بیشک اَسہِ چھُو ظالمن یعنی بے ایمانن پژھ نہ کرہ وُنین ہندہِ خیطرہ سُونار جہنّم تیار تھوومُت یمہ چہ لبہ تہ دیوار آسن تمن کافرن پریتھ طرفہ احاطہ کرِت کانہہ وتھاہ آسہِ نہ تمن ژلہ نس۔ وَاِنْ يَّسْتَغِيْثُوْا يُغَاثُوْا بِمَآءٍ كَالْمُهْلِ يَشْوِي الْوُجُوْهَ بیہِ ہرگاہ تمِ تریشہِ دودسہ موکھ فریادوزاری کرن۔ تہنز فریادرسی سپدِہ تمہِ آبہ سیتِ یُس سیاہ پِٹلمِ ہیُو آسہِ۔ گرم آسہِ تیوت یُس دُوری زالہِ تُہند بُتھ۔ حدیث شریفس منز چھُو آمُت کہ بُتھیُک سورُوی والہ پینکھ ہرت تمکہِ بہہ سیتِ۔ بِئْسَ الشَّرَابُ کوتاہ یچھ تہ ناکارہ آسہِ یہِ چنہ چیز (پناہ بخدا) تہندِہ خیطرہ وَسَآءَتْ مُرْتَفَقًا بیہِ کاژاہ یچھ جای چھہ جہنّم تہندِہ روزنہ خیطرہ (اِلٰہی نجات) یہِ گو ایمان نہ انہ وُنین ہندِہ ضررُک حال۔ اَمہ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان باایمانن ہندِہ نفع تہ فائدُک حال اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اِنَّا لَا نُضِيْعُ اَجْرَ مَنْ اَحْسَنَ عَمَلًا پٔزِ پاٹھِ یمو لُوکو ایمان اون بیہِ کریکھ رژہ عملہ۔ پٔزِ پاٹھِ اسِ گرونہ تمن لُوکن ہنز مزورِ ضایع یم جان کوم تہ رژ عمل کرن اُولٰٓئِكَ لَهُمْ جَنّٰتُ عَدْنٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهِمُ الْاَنْهٰرُ تمنی لوکن ہندِہ خیطرہ چھہِ ہمیشہ روزنِک باغ یمو منزہ کولہ تہ جویہِ آسن پکان۔ يُحَلَّوْنَ فِيْهَا مِنْ اَسَاوِرَ مِنْ ذَهَبٍ تمنی جنتن

تَحۡتِهِمُ الۡاَنۡهٰرُ يُحَلَّوۡنَ فِيۡهَا مِنۡ اَسَاوِرَ مِنۡ ذَهَبٍ وَّ
يَلۡبَسُوۡنَ ثِيَابًا خُضۡرًا مِّنۡ سُنۡدُسٍ وَّاِسۡتَبۡرَقٍ مُّتَّكِـِٕيۡنَ
فِيۡهَا عَلَى الۡاَرَآئِكِ‌ؕ نِعۡمَ الثَّوَابُ‌ؕ وَحَسُنَتۡ مُرۡتَفَقًا ﴿۳۱﴾ وَاضۡرِبۡ
لَهُمۡ مَّثَلًا رَّجُلَيۡنِ جَعَلۡنَا لِاَحَدِهِمَا جَنَّتَيۡنِ مِنۡ اَعۡنَابٍ
وَّحَفَفۡنٰهُمَا بِنَخۡلٍ وَّجَعَلۡنَا بَيۡنَهُمَا زَرۡعًا ﴿۳۲﴾ كِلۡتَا الۡجَـنَّتَيۡنِ
اٰتَتۡ اُكُلَهَا وَلَمۡ تَظۡلِمۡ مِّنۡهُ شَيۡـًٔـا‌ ۙ وَّفَجَّرۡنَا خِلٰلَهُمَا نَهَرًا ﴿۳۳﴾
وَّكَانَ لَهٗ ثَمَرٌ‌ ۚ فَقَالَ لِصَاحِبِهٖ وَهُوَ يُحَاوِرُهٗۤ اَنَا

---

اندر آسہِ تِمن لُوکن زیور گنڈنہ یوان سونہ سئندِ کُرِ وَّيَلۡبَسُوۡنَ ثِيَابًا خُضۡرًا مِّنۡ سُنۡدُسٍ وَّاِسۡتَبۡرَقٍ بیہ لاگن تم پوشاک سبز جامن ہُند۔ یُس زاوِلہ پاٹیگ تہ ویٹھِ پاٹیگ آسہِ نپہ نپہ کرہ ڈن مُّتَّكِـِٕيۡنَ فِيۡهَا عَلَى الۡاَرَآئِكِ تِمن جنّتن اندر آسَن تکیہ دِتھ پلنگن پیٹھ بِہتھ۔ نِعۡمَ الثَّوَابُ وَحَسُنَتۡ مُرۡتَفَقًا کیاہ رُت ثواباہ چھُو یہِ بیہِ کیاہ رِژ مزوریاہ چھہ یہِ۔ بیہ کاژاہ آرام و آسایشہِ ہنز جای چھہ یہِ جنّت وَاضۡرِبۡ لَهُمۡ مَّثَلًا رَّجُلَيۡنِ بیہِ فرماویُو کھ تُہیہ یارسُول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم دُنیاچہِ بے ثباتی تہ بے اعتباری تہ آخرتچہِ باقی پائداری پیٹھ مِثال دون شخصن ہنز جَعَلۡنَا لِاَحَدِهِمَا جَنَّتَيۡنِ مِنۡ اَعۡنَابٍ وَّحَفَفۡنٰهُمَا بِنَخۡلٍ وَّجَعَلۡنَا بَيۡنَهُمَا زَرۡعًا اَکِس شخصس آسِ دِتمتِ اَسہِ زہ باغ دچھہ کُلین ہندِ۔ تِمَن اَندِ اَندِ آسِ خصر کُلِ۔ منزہ اوُس زراعت تہِ وَونہ آمُت كِلۡتَا الۡجَـنَّتَيۡنِ اٰتَتۡ اُكُلَهَا وَلَمۡ تَظۡلِمۡ مِّنۡهُ شَيۡـًٔـا دوشِوے باغ آسِ دِوان میوہ پَنُن۔ کُنہِ قسمچ کمیٔ آسِ نہ کران بین باغن ہندِ پاٹھِ۔ وَّفَجَّرۡنَا خِلٰلَهُمَا نَهَرًا بیہ آسہِ اَسہِ یمن دوشونی باغن منز جاری کُرِ مژہ کولہ وَّكَانَ لَهٗ ثَمَرٌ بیہِ آسِ تس شخصس بیہِ اَمہِ وراٰی تہِ میوہ جات آمدنی ہندِ ذرایع۔ بیہِ آسس اولاد ژُرِ گبر فَقَالَ لِصَاحِبِهٖ وَهُوَ يُحَاوِرُهٗۤ پس وون اَمِ شخصن پنہ نِس رفیقس کتھہ کران کران اَنَا اَكۡثَرُ مِنۡكَ مَالًا وَّاَعَزُّ نَفَرًا بوچھُوس چانہ خوتہ زیادہ مال و

أَكْثَرُ مِنْكَ مَالًا وَّأَعَزُّ نَفَرًا ﴿۳۴﴾ وَدَخَلَ جَنَّتَهٗ وَهُوَ ظَالِمٌ لِّنَفْسِهٖ ۚ قَالَ مَآ أَظُنُّ أَنْ تَبِيْدَ هٰذِهٖٓ أَبَدًا ﴿۳۵﴾ وَّمَآ أَظُنُّ السَّاعَةَ قَآئِمَةً ۙ وَّلَئِنْ رُّدِدْتُّ إِلٰى رَبِّيْ لَأَجِدَنَّ خَيْرًا مِّنْهَا مُنْقَلَبًا ﴿۳۶﴾ قَالَ لَهٗ صَاحِبُهٗ وَهُوَ يُحَاوِرُهٗٓ

---

دولتہٕ کِن۔ بیہِ چھُوس چانہِ خوتہٕ زیادہ عزّتہٕ وول اولادن تہٕ شُریو گبروکن نوکرو چاکرو کن۔ ژہٕ چھُوک پنہٕ نِس طریقس حق زانتھ خدایس نِشہِ پسندیدہ آسنک دعویٰ کران۔ مینِس طریقس چھُوک باطِل زانتھ خدایس نِشہِ ناپسند زانان مگر نتیجہ چھُواتھ برعکس سپدان۔ کیازِہ دُشمنس چھُنہٕ کانہہ تہِ فائدہ تہٕ نفع واتنا وان دوستس چھونہٕ کانہہ تہِ نقصان واتہٕ ناوان۔ وَدَخَلَ جَنَّتَهٗ وَهُوَ ظَالِمٌ لِّنَفْسِهٖ تو پتہٕ ژاو یہ شخص پنہٕ نِس اتھ باغس اندر سُو رفیق سیتِ ہیتھ۔ درحالیکہ سُو اوس جُرم یعنی کُفر پانس پیٹھ قائیم تھاوِتھ یعنی شرِکس منز اوس مُبتلا۔ کبرو غرورُک اوُس نِشہِ دماغس منز بین لُوکن اوس حقیر زانان قَالَ مَآ أَظُنُّ أَنْ تَبِيْدَ هٰذِهٖٓ أَبَدًا دپنہِ لوگ مہٕ چھُونہٕ باسان یہِ باغ کیاگژھہِ بُرباد زانہہ میانہِ زندگانی اندر۔ امہِ اَندرہ اوس تس غرض توحیدس پیٹھ اعتراض کرن امِس رفیقس دوپُن ژےٚ چھُکھہ خالق عالم سُند قائیل بیہِ چھُکھ ونان کہِ سو رُوی چھُو تَسِ اَتھہِ۔ مگر مہِ چھُونہٕ گُمان کہ طبعی اسبابن کیاہیکہِ کانہہ مُعطّل تہٕ بے کارکرِتھ۔ مہِ چھونہٕ بوزنہ یِوان یتھ مینس باغس یتھ کارخانس یمکہِ آبادی ہندِ ساری سامانہٕ موجود چھہِ گُل تہٕ گُلین ہُند آب تہٕ موجود کوم کارکرن والِ تہٕ ساری موجود خرچ اخراجات کرنہٕ خیطرہ مال و دولت موجود مالکہِ حفاظتہٕ خیطرہ سامانہٕ موجود۔ ووٚنۍ یہِ برباد گژھہِ تہٕ کتھہ پاٹھِ وَّمَآ أَظُنُّ السَّاعَةَ قَآئِمَةً بیہِ چھُونہٕ مہِ خیال کہ قیامت کیاسپدِہ قائیم۔ اگر بفرضِ محال قیامت اَیہِ تہِ وَّلَئِنْ رُّدِدْتُّ إِلٰى رَبِّيْ لَأَجِدَنَّ خَيْرًا مِّنْهَا مُنْقَلَبًا بیہِ ہرگاہ بوواتاوہ نہ امہ پنہٕ نِس پروردگارس نِشہِ بولبہ تِتہِ یمہِ خوتہٕ بہتر جای۔ اَمِ شخصن کرِ ژور دعویٰ۔ اکھ ای زِہ کُفر چھُونہٕ قابِل مذمّت۔ دوٚیُم کوٚرُن اِنکارِ توحید۔ ترٚیُم کوٚرُن اِنکارِ قیامت۔ ژوریُم کوٚرُن پنُن پان خدایس نِشہِ باعزّت تہٕ محترم ثابت قَالَ لَهٗ صَاحِبُهٗ یمہِ کتھ بُوزِتھ وون امِسِ پنِنِ رفیقن یُس دیندار غریب اوس وَهُوَ يُحَاوِرُهٗٓ

أَكَفَرْتَ بِالَّذِي خَلَقَكَ مِن تُرَابٍ ثُمَّ مِن نُّطْفَةٍ ثُمَّ سَوَّاكَ رَجُلًا ﴿٣٧﴾ لَّٰكِنَّا هُوَ اللَّهُ رَبِّي وَلَا أُشْرِكُ بِرَبِّي أَحَدًا ﴿٣٨﴾ وَلَوْلَا إِذْ دَخَلْتَ جَنَّتَكَ قُلْتَ مَا شَاءَ اللَّهُ لَا قُوَّةَ إِلَّا بِاللَّهِ ۚ إِن تَرَنِ أَنَا أَقَلَّ مِنكَ مَالًا وَوَلَدًا ﴿٣٩﴾ فَعَسَىٰ رَبِّي أَن يُؤْتِيَنِ خَيْرًا مِّن جَنَّتِكَ وَيُرْسِلَ عَلَيْهَا حُسْبَانًا مِّنَ السَّمَاءِ فَتُصْبِحَ صَعِيدًا زَلَقًا ﴿٤٠﴾ أَوْ يُصْبِحَ مَاؤُهَا غَوْرًا فَلَن تَسْتَطِيعَ

---

أَكَفَرْتَ بِالَّذِي خَلَقَكَ مِن تُرَابٍ ثُمَّ مِن نُّطْفَةٍ ثُمَّ سَوَّاكَ رَجُلًا کیاہ ژیہ کورتھ توحیدس تہٕ قیامتس اِنکار کرنہٕ سیتِ انکارتس پروردگارس یَمِ ژہ پیدہ کورُکھ گوڈٕ مِژِہ نِشہٕ تو پتہٕ کورِنکھ ژہ پیدہ نُطفس منی ہندِ س آبس۔ تو پتہٕ کورنک ژہ تیار پورِہ انسان۔ مرنہٕ پتہٕ بیہ زندہ سپدنس اِنکار کرن گو خدایہ سندِ س قُدرتس اِنکار کرن۔ تہندِ س قُدرتس اِنکار کُرن گو وارہ تَس اِنکار کرن۔ لَّٰكِنَّا هُوَ اللَّهُ رَبِّي وَلَا أُشْرِكُ بِرَبِّي أَحَدًا لکنّا یمیُک اصل چھُو لکن انا یعنی بوٗ یُس چھُوس بو چھُوس اِعتقاد تھاوان اقرار کران زِ سُوی چھُو میون پروردگار۔ بو چھُوس نہ پنہٕ نِس پروردگارس کانہہ اکھاہ شریکِ زانان وَلَوْلَا إِذْ دَخَلْتَ جَنَّتَكَ قُلْتَ مَا شَاءَ اللَّهُ لَا قُوَّةَ إِلَّا بِاللَّهِ ژیہ کونہ پریوتھ پنہٕ نِس باغس اندر اژنہ وِزِہ۔ یہا اللہ تعالیٰ یژھِ تی بنہِ۔ کانسہِ چھُونہ کُنہِ چیزس پیٹھ طاقت تہٕ قوت تہندِہ مدد ہ ورای۔ اللہ تعالیٰ اِیتس کالس باغ روزُن یژھِ تیتس کالس روزِہ۔ اگر سُو یژھِ سُو سپدِہ ویران تہٕ برباد۔ تمسندِ س یژھنس مقابلہ چھِ ساری اسباب بیکار۔ تہندہ مدد ہ ورای ہیکہِ نہ کانہہ سباہ کوم کُرِتھ إِن تَرَنِ أَنَا أَقَلَّ مِنكَ مَالًا وَوَلَدًا ہر گاہ ژہ مےِ وچھان چھُکھ مالہٕ کِن اولادِ کِن کمی کانہہ غم چھُونہ فَعَسَىٰ رَبِّي أَن يُؤْتِيَنِ خَيْرًا مِّن جَنَّتِكَ مےِ چھُو بوزنہٕ یوان زِ سُو وقت چھُو نزدیک یلہِ میون پروردگار مےِ عطا کرِہ سُو باغ یُس بہتر آسہِ چانہِ باغہ خوتہٕ وَيُرْسِلَ عَلَيْهَا حُسْبَانًا مِّنَ السَّمَاءِ فَتُصْبِحَ صَعِيدًا زَلَقًا بیہ سوزِہ چانِس باغس پیٹھ غیبی آفاتہ۔ آسمانکہِ طرفہ یمہِ سیتِ یہِ چون باغ سپدِہ صاف میدانا ہیُو۔ یمہِ پیٹھ کھور آسن نیرت ژلان أَوْ

لَهٗ طَلَبًا ﴿۴۱﴾ وَاُحِيْطَ بِثَمَرِهٖ فَاَصْبَحَ يُقَلِّبُ كَفَّيْهِ عَلٰى مَآ اَنْفَقَ فِيْهَا وَهِىَ خَاوِيَةٌ عَلٰى عُرُوْشِهَا وَيَقُوْلُ يٰلَيْتَنِىْ لَمْ اُشْرِكْ بِرَبِّىْٓ اَحَدًا ﴿۴۲﴾ وَلَمْ تَكُنْ لَّهٗ فِئَةٌ يَّنْصُرُوْنَهٗ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَمَا كَانَ مُنْتَصِرًا ﴿۴۳﴾ هُنَالِكَ الْوَلَايَةُ لِلّٰهِ الْحَقِّ ؕ هُوَ خَيْرٌ ثَوَابًا وَّخَيْرٌ عُقْبًا ﴿۴۴﴾ وَاضْرِبْ لَهُمْ مَّثَلَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا كَمَآءٍ اَنْزَلْنٰهُ مِنَ السَّمَآءِ

---

يُصْبِحَ مَآؤُهَا غَوْرًا فَلَنْ تَسْتَطِيْعَ لَهٗ طَلَبًا بیہِ گرِٕھِ تِمن باغن ہُند آب زمینس منز شرِتھ پِس ہیکِکھ نہ ژٕ کُنہِ صورتس اندر زمینہ کڈِت سُو آب وَاُحِيْطَ بِثَمَرِهٖ چنانچہ امہِ گفتگو پتے آیہ ولنہ امس شخصہ سندین میوہ باغن آسمانی ناگہانی بلاے۔ آنًا فانًا منز گو یہ باغ تباہ و برباد فَاَصْبَحَ يُقَلِّبُ كَفَّيْهِ عَلٰى مَآ اَنْفَقَ فِيْهَا سُو نافرمان مغرور شخص لوگ افسوس کران کران گُل پنِن مورُنہِ۔ تتھ مالس تہ لاگتس پیٹھ ودنہِ یُس اتھ باغس پیٹھ خرچ کٔرِ مژ آسن۔ وَهِىَ خَاوِيَةٌ عَلٰى عُرُوْشِهَا مگر اَتھ باغس اوس امہِ ساتہ وِجہِ واو آمُت۔ سُو اوس ڈو کھیو سان پتھر پیومُت۔ دچھہِ باغن چھہِ ڈکھہِ آسان وَيَقُوْلُ يٰلَيْتَنِىْ لَمْ اُشْرِكْ بِرَبِّىْٓ اَحَدًا بیہِ لوگ سُو شخص ونہِ اِی کاش مہِ نے آسہا پنہ نِس پروردگارس کانہہ تہ شریک ٹھہرومُت۔ تمِس تور فکرِ یہ بلای آیہِ کو ٹھس کُفرہ سببہ۔ یہ ندامت آس تس نقصان گژھنہ مَوکھ وَلَمْ تَكُنْ لَّهٗ فِئَةٌ يَّنْصُرُوْنَهٗ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَمَا كَانَ مُنْتَصِرًا بیہِ آس نہ تمِس کانہہ جماعتھاہ یم تمِس مدد کرہ ہَن خدایس وراے۔ نہ ہیوک تِم پانہ اسہِ نِشہِ امیُک بدلہ ہیتھ هُنَالِكَ الْوَلَايَةُ لِلّٰهِ الْحَقِّ یِتھے کیاسپُد ثابت کہِ سو رُوی اختیار چھُو پزِس خدایس اتھہِ۔ یِتھِس موقعس پیٹھ مدد کرن تہِ چھہِ تہنزی کوم هُوَ خَيْرٌ ثَوَابًا وَّخَيْرٌ عُقْبًا تہندوی ثواب اجر چھُو سیٹھاہ رُت۔ تہندوی نتیجہ چھُو دُنیاءس منز سیٹھاہ رُت وَاضْرِبْ لَهُمْ مَّثَلَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا كَمَآءٍ اَنْزَلْنٰهُ مِنَ السَّمَآءِ بیہِ کٔرِ وِتھہ بیان یا رسول اللہ لُوکن دنیاچہِ زندگی ہنز مِثال۔ سُو مِثال گئیہ یِہے کہِ امہِ کور آسمانکہِ طرفہ باران رُود

فَاخْتَلَطَ بِهٖ نَبَاتُ الْاَرْضِ فَاَصْبَحَ هَشِیْمًا تَذْرُوْهُ الرِّیٰحُ ؕ وَ كَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ مُّقْتَدِرًا ﴿۴۵﴾ اَلْمَالُ وَ الْبَنُوْنَ زِیْنَةُ الْحَیٰوةِ الدُّنْیَا ۚ وَ الْبٰقِیٰتُ الصّٰلِحٰتُ خَیْرٌ عِنْدَ رَبِّكَ ثَوَابًا وَّ خَیْرٌ اَمَلًا ﴿۴۶﴾ وَ یَوْمَ نُسَیِّرُ الْجِبَالَ وَ تَرَى الْاَرْضَ بَارِزَةً ۙ وَّ حَشَرْنٰهُمْ فَلَمْ نُغَادِرْ مِنْهُمْ اَحَدًا ﴿۴۷﴾ وَ عُرِضُوْا عَلٰى رَبِّكَ صَفًّا ؕ لَقَدْ جِئْتُمُوْنَا كَمَا خَلَقْنٰكُمْ

---

نازِل۔ تمہِ آبہ کہ ذریعہ کھوت زمینہ منزہ گھاسہ سرسبز فَاخْتَلَطَ بِهٖ نَبَاتُ الْاَرْضِ فَاَصْبَحَ هَشِیْمًا تَذْرُوْهُ الرِّیٰحُ کینہہ کالاہ گژھتھ سپدٕ سُو سرسبز گھاسہ خشک تُیس واوَن اورہ یور پھکرود۔ یوہے چھُو حال دینھک۔ از چھُو ترو تازہ بوزنہ یوان۔ کینہہ کالاہ گژھت چھُونہ تمیک نام ونشان تہِ باقی روزان وَ كَانَ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ مُّقْتَدِرًا اللہ تعالیٰ چھُو پریتھ چیزس پیٹھ پورہ قدرتہ وول اَلْمَالُ وَ الْبَنُوْنَ زِیْنَةُ الْحَیٰوةِ الدُّنْیَا مال تہ اولاد چھِہ دُنیاءِ چہِ زندگی ہُند اکھ زینتاہ تہ نیتاہ ناپائیدار تہ بے اعتبار وَ الْبٰقِیٰتُ الصّٰلِحٰتُ خَیْرٌ عِنْدَ رَبِّكَ ثَوَابًا وَّ خَیْرٌ اَمَلًا رژہ عملہ چھِہ پائیدار ہمیشہ پوشہِ وِنہ چانس پروردگارس نشہِ ثوابکہِ اعتبارہ۔ بیہ چھِہ تِمے بہتر امیدواری ہندہِ اعتبارہ۔ حدیثِ شریفس منز چھُو اُمّت فرموو حضرتِ نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلم سبحان اللہ والحمدللہ ولاالہ الا اللہ واللہ اکبر ولا حول ولاقوۃ إلا باللہ یِہے کلمات پرِن چھِہ باقیات الصالحات وَ یَوْمَ نُسَیِّرُ الْجِبَالَ وَ تَرَى الْاَرْضَ بَارِزَةً بیہ گژھہِ سُو دوہ یاد کرن یمہِ دوہہ اَسِ کوہ تہ بال پکناووکھ۔ پنہ نیو جایو نشہِ تلوکھ تہ ڈالوکھ توپتہ کروکھ ریزہ ریزہ۔ سَمستر گرواِنس کوہَن تہ لرین جاین۔ مکاناتن تہ باغن۔ وچھُن ژہ زمین ای وچھہِ ونہ نوئی اَکھ اندہ پیٹھ بیس اندس تانِ ہموار تہ برابر۔ نہ آسن کوہ تہ بال کُنہ۔ نہ آسَن لرہِ تہ جایہِ کُنہِ وَّ حَشَرْنٰهُمْ فَلَمْ نُغَادِرْ مِنْهُمْ اَحَدًا بیہ کڈوکھ اَسِ ساری لُوکھ قبروَاندرہ توپتہ سمبر اووکھ اَسِ محشرہ کسِ میدانس اندر۔ تمو اندرہ چھڈون نہ کانہہ اکھاہ وَ عُرِضُوْا عَلٰى رَبِّكَ صَفًّا بیہ ینِ ساری

اَوَّلَ مَرَّةٍۭ ۚ بَلْ زَعَمْتُمْ اَلَّنْ نَّجْعَلَ لَكُمْ مَّوْعِدًا ﴿۴۸﴾ وَوُضِعَ
الْكِتٰبُ فَتَرَى الْمُجْرِمِيْنَ مُشْفِقِيْنَ مِمَّا فِيْهِ وَ
يَقُوْلُوْنَ يٰوَيْلَتَنَا مَالِ هٰذَا الْكِتٰبِ لَا يُغَادِرُ صَغِيْرَةً
وَّلَا كَبِيْرَةً اِلَّآ اَحْصٰىهَا ۚ وَوَجَدُوْا مَا عَمِلُوْا حَاضِرًا ؕ وَ
لَا يَظْلِمُ رَبُّكَ اَحَدًا ﴿۴۹﴾ وَاِذْ قُلْنَا لِلْمَلٰٓئِكَةِ اسْجُدُوْا
لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ ؕ كَانَ مِنَ الْجِنِّ فَفَسَقَ عَنْ

---

لُوکھ حاضِر کرنہٕ تُہندِس پروردگارس برونٹھٕ کُن صفن منز یِم قیامتس اِنکار کران آسِ۔ تِمن ایہ وِننہٕ لَقَدْ جِئْتُمُوْنَا كَمَا خَلَقْنٰكُمْ اَوَّلَ مَرَّةٍ بیشک تُہہ واتوہ اسہِ تہٕ حالس اندر یتھ منز اَسہِ تُہہ گوڈنی پیدہ کٔرمِت آسوہ یعنی ننی تہٕ چھٕنی توہہِ وچھیوہ گوڈنچ پیدائش مگر پٔرۍ کٔر وہ نہ دوبارہ بیہ پیدہ سپدنس بَلْ زَعَمْتُمْ اَلَّنْ نَّجْعَلَ لَكُمْ مَّوْعِدًا بلکہ اوس توہہِ خیال کہِ اَسِ کرہ وی نہ تہندہِ خیطرہ پٔنٕ وعدہ پورٕہ کرنُک کانہہ وقاہ مقرر وَوُضِعَ الْكِتٰبُ فَتَرَى الْمُجْرِمِيْنَ مُشْفِقِيْنَ مِمَّا فِيْهِ بیہ یِنِ تِمہِ دوہہ لُوکن ہنزٕ ن عملن ہُند دفتر تِمن برونٹھٕ کُن تراونہ۔ کانسہِ دِن دٔچھنِس اَتھس کیتھ۔ کانسہِ دِن کھوفرس اَتھس کیتھ۔ پَس وچھوکھ تُہہ کافر کھوژان تہٕ نٹان تمہِ سیتِ یہِ تہٕ منز لیکھت آسہِ وَيَقُوْلُوْنَ يٰوَيْلَتَنَا مَالِ هٰذَا الْكِتٰبِ لَا يُغَادِرُ صَغِيْرَةً وَّلَا كَبِيْرَةً اِلَّآ اَحْصٰىهَا بیہ وَنن ہای افسوس کیاہ گوسانہٕ حقہ۔ یِم سانِ نامہِ اعمالَن چھُونہ ترومُت کانہہ لوکُٹ گناہ نہ کانہہ بوڈ گناہ یُس نہ لیوکھمُت تہٕ درج چھُن کورمُت۔ وَوَجَدُوْا مَا عَمِلُوْا حَاضِرًا بیہ لبن تِم پننہِ سارے عملہ یِمہِ تِموکرِ مژہ آسن عُمرِہ دُنیاءس منز پانس برونٹھ کنہِ وَلَا يَظْلِمُ رَبُّكَ اَحَدًا تُہند پروردگار کرہ نہ ظُلم کانسہِ سیت۔ نہ کورمُت گناہ کیا آسہا کانسہِ شخص لیکھنہ آمُت۔ یا کٔر مژ نیکی کیا آسہا کانسہِ شخص لیکھنےٕ رُوزمژ وَاِذْ قُلْنَا لِلْمَلٰٓئِكَةِ اسْجُدُوْا لِاٰدَمَ فَسَجَدُوْٓا اِلَّآ اِبْلِيْسَ بیہ چھُو قابلِ ذِکر سُو وقت یلہِ اَسہِ حُکم کور ملائکن کہِ سجدہ دِیو آدم علیہ السلامس برونٹھ کنہِ۔ پَس دُیت تِموٚ ساریو سجدہ ابلیسَس ورای۔ ابلیس آس تیژ عبادت کٔرمژ

اَمۡرِ رَبِّهٖ ؕ اَفَتَتَّخِذُوۡنَهٗ وَذُرِّيَّتَهٗۤ اَوۡلِيَآءَ مِنۡ دُوۡنِىۡ وَهُمۡ لَكُمۡ عَدُوٌّ ؕ بِئۡسَ لِلظّٰلِمِيۡنَ بَدَلًا ۝٥٠ مَاۤ اَشۡهَدْتُّهُمۡ خَلۡقَ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَلَا خَلۡقَ اَنۡفُسِهِمۡ ۖ وَمَا كُنۡتُ مُتَّخِذَ الۡمُضِلِّيۡنَ عَضُدًا ۝٥١ وَيَوۡمَ يَقُوۡلُ نَادُوۡا شُرَكَآءِىَ الَّذِيۡنَ زَعَمۡتُمۡ فَدَعَوۡهُمۡ فَلَمۡ يَسۡتَجِيۡبُوۡا لَهُمۡ وَجَعَلۡنَا بَيۡنَهُمۡ

---

سُو تہِ اوس وو تٕمت ملایٔکن ہندِس در جٕس۔ تمی آو تمِس تہٕ ملایٔکن سیتِ سجدک حکم کرنہ مگر تمۍ دِیت نہ سجدہ كَانَ مِنَ الۡجِنِّ فَفَسَقَ عَنۡ اَمۡرِ رَبِّهٖ سُو اوس جنو اندرہ پٔس دراو سُو نیبر پنہٕ نِس پروردگارہ سندِہ حکمہ نشہِ عدول حکمی کٔرن۔ یعنی سجدہ دِیُن نہ۔ سُو ئیلہ وون یُتھ شریر چھُو اَفَتَتَّخِذُوۡنَهٗ وَذُرِّيَّتَهٗۤ اَوۡلِيَآءَ مِنۡ دُوۡنِىۡ وَهُمۡ لَكُمۡ عَدُوٌّ ای بنی آدمو، ای انسانو توہہِ چھُوہ نہ سُو ابلیس تہٕ تہنز ذُرّیت بو معبود برحق تراوِتھ پنُن دوست زانان۔ حالانکہِ سُو چھُو تُہند سخت دُشمن۔ کاژاہ چھہ شرمہِ ہنز کتھ کہ سُو تُہند دشمن تُہندس بابہ صیب حضرت آدم علیہ السلامہ سُند دشمن سُو چھوِن تُہہ زانان دوست پٔنن بو تُہند مہربان دوست آستھ میانِ چھوہ کران نافرمانی۔ حیف صد حیف تُہنزِہ عقلہِ پیٹھ۔ بِئۡسَ لِلظّٰلِمِيۡنَ بَدَلًا یہِ ابلیس تہٕ تہنز ذریت دوست بناوِن چھُو ظالمن ہندِہ خیطرہ سیٹھاہ پچھ بدل۔ دوست گژھوس زانُن تہٕ رٹُن بو۔ تتھ بدل چھوہ دوست رٹان شیطانس۔ یُس تُہند دُشمن قوی چھُو۔ مَاۤ اَشۡهَدْتُّهُمۡ خَلۡقَ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَلَا خَلۡقَ اَنۡفُسِهِمۡ مہِ چھنہٕ تمہِ شیاطین سیت رٹمت آسمان وزمین پیدہ کرنکہ وقتہٕ۔ بیہِ چھِم نہ سیت رٹمت تمہ ساتہٕ یمہ ساتہٕ تمِہ پیدہ کٔرِ۔ تمن کیاہ پرژھہ ہابو کہ کتھہ پاٹھِ کرہ بو آسمان تہٕ زمین پیدہ۔ یا کتھہ پاٹھہ کرووہ بو تُہہ پیدہ۔ یا پرژھہ ہکھ کہ یہ کورہ مہِ جانئے کنہ جایہِ ماچھُوس ہیور بون گومُت وَمَا كُنۡتُ مُتَّخِذَ الۡمُضِلِّيۡنَ عَضُدًا بو اوُس نہ تمہِ قسمک ناقص قدر تس اندر بو کیاہ رٹہ ہک گمراہ کرہ ون میانن بندن پنُن مددگار یا بو کیاہ ہیمہ ہا تمن نشہِ کانہہ مشورہ وَيَوۡمَ يَقُوۡلُ نَادُوۡا شُرَكَآءِىَ الَّذِيۡنَ زَعَمۡتُمۡ فَدَعَوۡهُمۡ فَلَمۡ يَسۡتَجِيۡبُوۡا لَهُمۡ سُو دوہ تہٕ چھُو یاد کرہ نِس

مَّوْبِقًا ﴿۵۲﴾ وَرَاَ الْمُجْرِمُوْنَ النَّارَ فَظَنُّوْٓا اَنَّهُمْ مُّوَاقِعُوْهَا وَلَمْ يَجِدُوْا عَنْهَا مَصْرِفًا ﴿۵۳﴾ وَلَقَدْ صَرَّفْنَا فِيْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ لِلنَّاسِ مِنْ كُلِّ مَثَلٍ ؕ وَكَانَ الْاِنْسَانُ اَكْثَرَ شَيْءٍ جَدَلًا ﴿۵۴﴾ وَمَا مَنَعَ النَّاسَ اَنْ يُّؤْمِنُوْٓا اِذْ جَآءَهُمُ الْهُدٰى وَيَسْتَغْفِرُوْا رَبَّهُمْ اِلَّآ اَنْ تَاْتِيَهُمْ سُنَّةُ الْاَوَّلِيْنَ اَوْ يَاْتِيَهُمُ الْعَذَابُ قُبُلًا ﴿۵۵﴾ وَمَا نُرْسِلُ الْمُرْسَلِيْنَ اِلَّا مُبَشِّرِيْنَ

---

لائق ہیمہِ دوہہ اللہ تعالیٰ فرماوہِ مُشرکن تلا آلود یتو پتہِ مددہ خیطرہ تمن معبودان باطلن ہیمِ میانِ شریک آسوکھ زانان۔ تو پتہ دنکھ آلو۔ تورہ ونہ نکھ نہ تم کانہہ جواب ہیمہِ سیتِ تمِ مایوس سپدن وَجَعَلْنَا بَيْنَهُمْ مَّوْبِقًا بیہ گرو اَسِ تمن منز ٹھوراہ اکھ نارہ خند قاہ یُس سخت مُہلک آسہِ وَرَاَ الْمُجْرِمُوْنَ النَّارَ فَظَنُّوْٓا اَنَّهُمْ مُّوَاقِعُوْهَا بیہ وچھن نافرمان نار جہنّم یقین کرن کہِ تمِ چھہِ واتہ ونِ اتھ نارس منز وَلَمْ يَجِدُوْا عَنْهَا مَصْرِفًا بیہ لَبن نہ تمہِ نِشہِ بچنچ کانہہ وتھاہ۔ وَلَقَدْ صَرَّفْنَا فِيْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ لِلنَّاسِ مِنْ كُلِّ مَثَلٍ پیٹھ پاٹھِ بیہ کوراسہِ یتھ قرآن مجیدس منز بیان لُوکن ہندہِ ہدایتہ خیطرہ پریتھ کُنہِ قسمک مضامین وار یہو طریقو وَكَانَ الْاِنْسَانُ اَكْثَرَ شَيْءٍ جَدَلًا مگر باوجود آں چھو انسان ساروی خوتہ ہرتہ قضیہ تہ تنازعہ کرہ ڈن وَمَا مَنَعَ النَّاسَ اَنْ يُّؤْمِنُوْٓا اِذْ جَآءَهُمُ الْهُدٰى وَيَسْتَغْفِرُوْا رَبَّهُمْ بیہ رٹِ نہ لُوکھ کنہِ چیزن پتھ ایمان اننہ نِشہِ۔ بیہ پنہ نُس پروردگارس مغفرت منگنہ نِشہِ۔ تمن نِشہِ ہدایت واتتھ اِلَّآ اَنْ تَاْتِيَهُمْ سُنَّةُ الْاَوَّلِيْنَ اَوْ يَاْتِيَهُمُ الْعَذَابُ قُبُلًا مگر تمی چیزن کہِ تمن پیٹھ تہ کیاہ گذرہ سوی حال یُس برونٹھمین نافرمانن پیٹھ گذریومت اوس یا واتہِ تمن عذاب بتھین برونٹھکن وَمَا نُرْسِلُ الْمُرْسَلِيْنَ اِلَّا مُبَشِّرِيْنَ وَمُنْذِرِيْنَ بیہ چھکنہ اَس سوزان حضرتِ انبیاء و مرسلین مگر باایمانن فرمانبردارن بشارت ونہ خیطرہ۔ بیہ کافر نافرمانن عذابک بیم کرنہ خیطرہ۔ تمکہ ثبوتہ خیطرہ چھہِ اَسِ تمن کافی دلیلہ عطا کران۔ تمو دلیلو خوتہ زیادہ چھہِ تمن نِشہِ تمِ فرمایشی معجزہ

وَمُنۡذِرِيۡنَ‌ ۚ وَيُجَادِلُ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا بِالۡبَاطِلِ لِيُدۡحِضُوۡا بِهِ الۡحَـقَّ‌ وَاتَّخَذُوۡۤا اٰيٰتِىۡ وَمَاۤ اُنۡذِرُوۡا هُزُوًا ﴿۵۶﴾ وَمَنۡ اَظۡلَمُ مِمَّنۡ ذُكِّرَ بِاٰيٰتِ رَبِّهٖ فَاَعۡرَضَ عَنۡهَا وَنَسِىَ مَا قَدَّمَتۡ يَدٰهُ‌ ؕ اِنَّا جَعَلۡنَا عَلٰى قُلُوۡبِهِمۡ اَكِنَّةً اَنۡ يَّفۡقَهُوۡهُ وَفِىۡۤ اٰذَانِهِمۡ وَقۡرًا‌ ؕ وَاِنۡ تَدۡعُهُمۡ اِلَى الۡهُدٰى فَلَنۡ يَّهۡتَدُوۡۤا اِذًا اَبَدًا ﴿۵۷﴾ وَرَبُّكَ الۡغَفُوۡرُ ذُو الرَّحۡمَةِ‌ ؕ لَوۡ يُؤَاخِذُهُمۡ بِمَا

---

ژھانڈان۔ تہِ چھُو لغو تہ بیکار وَيُجَادِلُ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا بِالۡبَاطِلِ لِيُدۡحِضُوۡا بِهِ الۡحَـقَّ بیہ چھِ کافر اپزِ کتھ پیش کٔرِتھ ہر تہ قضیہ لاگان۔ یُتھ پٔتہِ خیالہ پٔزِس مغلوب کرن۔ تہِ بنہِ نہ۔ پوز چھُو ہمیشہِ غالب۔ سُو سپدِہ نہ مغلوب زانہہ تہِ وَاتَّخَذُوۡۤا اٰيٰتِىۡ وَمَاۤ اُنۡذِرُوۡا هُزُوًا بیہ چھِ تمو سانِ آیات بیہ یمہِ عذابُک بیم آو تِمن کرنہ روٗٹمت تہ زونمت اکھ ٹھٹھاہ تہ مسخرٕ گیا وَمَنۡ اَظۡلَمُ مِمَّنۡ ذُكِّرَ بِاٰيٰتِ رَبِّهٖ فَاَعۡرَضَ عَنۡهَا بیہ کُنہہ اکھاہ چھُو زیادہ ظالِم تَس شخصہ سندِہ خوتہ ییٚس خدایہ سندیو آیاتو سیتِ نصیحت کرنہ آیہ۔ تو پتہ پھیرُ تِم تمو آیاتو نِشہِ بُتھ وَنَسِىَ مَا قَدَّمَتۡ يَدٰهُ بیہ مشراوِن تِم گناہ یِم تِمہٕ پنہ نیو اَتھو برونٹھ کُن سوٗزمتِ چھِہ۔ اِنَّا جَعَلۡنَا عَلٰى قُلُوۡبِهِمۡ اَكِنَّةً اَنۡ يَّفۡقَهُوۡهُ وَفِىۡۤ اٰذَانِهِمۡ وَقۡرًا پٔز پاٹھِ اسہِ چھِہ تراومتِ تہندین دِلن پیٹھ پردہ۔ یُتھ نہ تِمن خدایہ سندِ آیات فکرہ ترن۔ بیہ چھُوک تروومُت کنن ووگہ تہ زر تِمی سببہ چھُو تُہند حالِ کہِ وَاِنۡ تَدۡعُهُمۡ اِلَى الۡهُدٰى فَلَنۡ يَّهۡتَدُوۡۤا اِذًا اَبَدًا ہرگاہ تُہہ تِمن دعوت دِیو ہدایتس کُن تِم لبن نہ ہدایت زانہہ تہِ۔ لہٰذا کیازہ چھُوہ تُہہ بران امیُک غم۔ تِمن چھُو تاخیر عذابہ سیتِ خیال گرٛھان کہ شاید تِمن آسنہِ عذاب کینہہ۔ مگر تاخیرِ عذابُک وجہ چھُوکہِ وَرَبُّكَ الۡغَفُوۡرُ ذُو الرَّحۡمَةِ تُہند پروردگار چھُو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن رحمتہ وول۔ پَس چھُو سُو تِمن مُہلت دِوان یِمہِ کتھہِ موٗکھ کہ شاید تمو منزہ ماسپدِہ کانہہ مُسلمان۔ تَس کرہ اللہ تعالیٰ مغفرت تہ گُنہن گُذران لَوۡ يُؤَاخِذُهُمۡ بِمَا كَسَبُوۡا لَعَجَّلَ لَهُمُ الۡعَذَابَ ہرگاہ سُو تِمن تہنز ویچھ عملو سببہ گرفتار کرن یژھہ ہاتلہ کرہ ہا تِمن پیٹھ

كَسَبُوا لَعَجَّلَ لَهُمُ الْعَذَابَ ۚ بَل لَّهُم مَّوْعِدٌ لَّن يَجِدُوا مِن دُونِهِ مَوْئِلًا ﴿٥٨﴾ وَتِلْكَ الْقُرَىٰ أَهْلَكْنَاهُمْ لَمَّا ظَلَمُوا وَجَعَلْنَا لِمَهْلِكِهِم مَّوْعِدًا ﴿٥٩﴾ وَإِذْ قَالَ مُوسَىٰ لِفَتَاهُ لَا أَبْرَحُ حَتَّىٰ

جلد عذاب نازِل بَل لَّهُم مَّوْعِدٌ لَّن يَجِدُوا مِن دُونِهِ مَوْئِلًا مگر تِم چھُو تہندِ عذابہ خیطرہ اکھ وقتاہ مُقرر کورمُت یمہ نِشہِ نہ تمِ ہرگز کانہہ چھپن جایاہ لَبَن۔ یُوہے قاعِدہ آو استعمال کرنہ برونٹھین کافرن تہ نافرمانن سیتِ تہِ چنانچہ وَتِلْكَ الْقُرَىٰ أَهْلَكْنَاهُمْ لَمَّا ظَلَمُوا وَجَعَلْنَا لِمَهْلِكِهِم مَّوْعِدًا یمہِ بستی یمن ہندِ قِصہ معروف و مشہور چھِہ۔ یعنی قوم عاد تہ ثمود وغیرہ یلہِ تمو ظلم کور نافرمانی کر اَسہِ اوس تہندِ ہلاک کرنہ خیطرہ وقتاہ مقرر کورمُت سُو وقت وو تُھ گئے ہلاک۔ یتھے پاٹھِ چھو اسہِ یمن ازکین کافرن تہ تُھندین دشمن ہندِ خیطرہ وقت مُقرر کورمُت۔ سُو وقت یلہ واتیکھ تِم تہِ گژھن ہلاک تہ برباد۔ برونٹھ آو بیان کرنہ کہ کافرن ہُند فقیر مسلمانن سیتِ شریک تعلیم عار زانُن چھُو سیٹھاہ تِیچھہ اللہ تعالیٰ چھُو فرماوان موسیٰ علیہ السلامن قِصہٓ۔ حضرتِ موسیٰ علیہ السلام باوجود جلالت قدر تمو کرنہ کانہ عار خضر علیہ السلامَس یس تمن نِشہِ بون مرتبس تہ درجس منز آسِ تمن نِشہِ علم حاصِل کرنس اندر۔ تمیُک وجہ سپُد ای یہ ہِ اکہ دوہہ پوٗر حضرتِ موسیٰ علیہ السلامن وعظ بنی اسرائیلن ہندِس جماعتس منز۔ تتھ مجلسہِ اندر پُرژھ اکِ شخصن تمن یہ از کہ وقتہ کین لُوکن اندر کُس حض شخص چھُو سارِوی خوتہ بوڈ عالم۔ تمو فرموہکھ بو چھُس سارِوی خوتہ بوڈ عالم۔ اگرچہ یہ اوس بالکل صحیح لیکن اللہ تعالیٰ اَن یژھ یمن کلام کرنس اندر احتیاط کرنچ تعلیم کرنِ اللہ تعالیٰ اَن فرمود تمن ای موسیٰ یہ کتھ پاٹھِ وونوہ توہہ۔ حالانکہ مجمع البحرین پیتہ نُس زہ دریاپانہ وانِ رلان چھِہ مُتصل چھُو سون اکھ بندہ۔ تُس بعض چیزن اندر تُہندہ خوتہ زیادہ عالم چھُو۔ تمن سپُد تہندہ ملاقاتُک شوق تتھِ متعلق چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان وَإِذْ قَالَ مُوسَىٰ لِفَتَاهُ سُو وقت پاوِ وژتیں یلہ موسیٰ علیہ السلامن دوپ پننِس خادمَس یُوشع ابن نونس (یم آسِ ابتداءس اندر حضرتِ موسیٰ سندِ خادِم پتہ سپُد پیغمبر) یلہِ تمن حضرتِ خضرس سیتِ ملاقات کرنہ گژھن اُوس اللہ تعالیٰ اَس پُرژھ تمو خدایا تمن نِشہِ واتنچ کیاہ صُورت چھِہ ارشاد سپُد کھ اکھ بُزت گاڈہ ہنا تُلو سیتِ تُہہ تو پتہ نیرو سفرس۔ یتھ جایہِ سُہ گاڈ زندہ گژھِت ٹُوکرہ منزہ راوِہ تتھِ جایہ لبیون تُہہ سُو

اَبْلُغَ مَجْمَعَ الْبَحْرَيْنِ اَوْ اَمْضِيَ حُقُبًا ﴿٦٠﴾ فَلَمَّا بَلَغَا مَجْمَعَ بَيْنِهِمَا نَسِيَا حُوْتَهُمَا فَاتَّخَذَ سَبِيْلَهٗ فِي الْبَحْرِ سَرَبًا ﴿٦١﴾ فَلَمَّا جَاوَزَا قَالَ لِفَتٰىهُ اٰتِنَا غَدَآءَنَا لَقَدْ لَقِيْنَا مِنْ سَفَرِنَا هٰذَا نَصَبًا ﴿٦٢﴾ قَالَ اَرَءَيْتَ اِذْ اَوَيْنَآ اِلَى الصَّخْرَةِ فَاِنِّيْ نَسِيْتُ الْحُوْتَ وَ مَآ اَنْسٰنِيْهُ اِلَّا الشَّيْطٰنُ اَنْ اَذْكُرَهٗ وَاتَّخَذَ سَبِيْلَهٗ فِي

---

صاحب لَآ اَبْرَحُ حَتّٰٓى اَبْلُغَ مَجْمَعَ الْبَحْرَيْنِ اَوْ اَمْضِيَ حُقُبًا بُوروزنہ توتانِ پتھ یوتانِ نہ بوواتہ مجمع البحرینس۔ ادہ پے تن مہِ واریہن وَرین سفر کرُن فَلَمَّا بَلَغَا مَجْمَعَ بَيْنِهِمَا نَسِيَا حُوْتَهُمَا فَاتَّخَذَ سَبِيْلَهٗ فِي الْبَحْرِ سَرَبًا پس یلہ پکان پکان واتِ تمِ مجمع البحرینس یتہ نس زہ دریایانہ وان رلان تہ میلان آسِ توتنس واتتھ رُودِ تمِ اکس کنہِ پلس سیتِ ڈوکھ دِتھ تھکھ دِنہِ۔ تتھ حالس اندر پیہ تمن نندر سوٗ گاڈ سپز ٹوکرہ اندر بحکم خدابیہ زِندہ تو پتہ وَتھ سوٗ دریاوس اندر۔ یوشع علیہ السلام یلہِ بیدار سپداتہِ وچھکھنہِ نہ ٹوکرہ اندر گاڈاہ کینہہ تہِ۔ ارادہ کورُکھ یلہِ حضرتِ موسیٰ تہِ بیدار سپدن تمی ساتہ کرہ بو تمن نشہِ یہِ واقعہ بیان۔ مگر یمن رُوزنہ مطلق یہِ کتھ ذہنہِ اندری۔ اللہ تعالیٰ چھوٗ فرماوان تمن دوشون گئیہ گاڈہ متعلق کتھ باتھ کرنِ مشت۔ پس ہیُٹ تمہِ گاڈہِ پنِ وَتھ دریاوس منز گیہ اکھ سرونگاہ تہ گوپھاہ تس گاڈہ ہندہ پکنہ سیتِ فَلَمَّا جَاوَزَا تمہِ زہ صاحب حضرتِ موسیٰ علیہ السلام بیہ حضرتِ یوشع علیہ السلام یلہِ اَمہِ جایہِ نشہِ برونٹھ گن پک بوچھہِ لجِھہِ۔ قَالَ لِفَتٰىهُ اٰتِنَا غَدَآءَنَا لَقَدْ لَقِيْنَا مِنْ سَفَرِنَا هٰذَا نَصَبًا موسیٰ علیہ السلامن فرموو خادمس پنہ نس کر وِپش کوج سُون کھینہ خیطرہ۔ اسہِ تُل تکلیف یتھ سفرس اندر۔ یمہِ برونٹھ دہن منزِلن پکنہ سیتِ واژونہ اسہِ کانہہ تکلیفاہ قَالَ اَرَءَيْتَ اِذْ اَوَيْنَآ اِلَى الصَّخْرَةِ دُپس اسِ یلہِ تتھ بجہِ کنہِ تل واژاے یتہ نس تھک کڈنہِ روزاے فَاِنِّيْ نَسِيْتُ الْحُوْتَ وَ مَآ اَنْسٰنِيْهُ اِلَّا الشَّيْطٰنُ اَنْ اَذْكُرَهٗ بیشک مہ گومشت گاڈہ ہُند قصّہ توہہِ نشہِ بیان کرُن۔ تہِ مشروونہ مہ مگر شیطانن۔ مہ آونہ ذہنہ اندری سُو معاملہ پیش کرُن وَاتَّخَذَ سَبِيْلَهٗ فِي الْبَحْرِ عَجَبًا تمہِ گاڈہِ یُس

الْبَحْرِ ۖ عَجَبًا ﴿٦٣﴾ قَالَ ذَٰلِكَ مَا كُنَّا نَبْغِ ۚ فَارْتَدَّا عَلَىٰ آثَارِهِمَا قَصَصًا ﴿٦٤﴾ فَوَجَدَا عَبْدًا مِّنْ عِبَادِنَا آتَيْنَاهُ رَحْمَةً مِّنْ عِندِنَا وَعَلَّمْنَاهُ مِن لَّدُنَّا عِلْمًا ﴿٦٥﴾ قَالَ لَهُ مُوسَىٰ هَلْ أَتَّبِعُكَ عَلَىٰ أَن تُعَلِّمَنِ مِمَّا عُلِّمْتَ رُشْدًا ﴿٦٦﴾ قَالَ إِنَّكَ لَن تَسْتَطِيعَ مَعِيَ صَبْرًا ﴿٦٧﴾ وَكَيْفَ تَصْبِرُ عَلَىٰ مَا لَمْ تُحِطْ بِهِ خُبْرًا ﴿٦٨﴾ قَالَ سَتَجِدُنِي إِن شَاءَ اللَّهُ صَابِرًا وَلَا أَعْصِي لَكَ أَمْرًا ﴿٦٩﴾

---

اَسهِ بُڌ ته آس ٿاوَمڙُ ٽوڪرہ اندر ڪاجس کھینه خيطرہ سنوگيهِ زِندہ ٿو پته ٿِجَن ووٺ بيهِ ہيٺن وَ ته درياوس ڳن عجيب طريقه۔ درياوَڪ آب رُود مُعلّق ته گيئهِ گو ڦاہ ہش زيٺ قَالَ ذَٰلِكَ مَا كُنَّا نَبْغِ موسىٰ عليه السلامن فرمووتي اوس ته يه اَسِ ڙھانڈان آسِ۔ ڙيه کونه وِنيو ته تته جايهِ يهِ قِصّه فَارْتَدَّا عَلَىٰ آثَارِهِمَا قَصَصًا پَس ڦيرِ تمِ اتي پيٺھ واپس پنه نيو کھورَن ہنديو نشانو موجُب۔ واتان واتان واتِ تمِ بيهِ ته کنهِ نکهتل۔ يته سيتِ ڈوکھ دِ ته تمن نندر ييمڙ آس فَوَجَدَا عَبْدًا مِّنْ عِبَادِنَا آتَيْنَاهُ رَحْمَةً مِّنْ عِندِنَا پس لوب تموسانيو بنڈوأندرہ اکھ بندہ يعني ملاقات کورُکھ حضرتِ خضرس سيتِ يُس اَسهِ عطاکُر مڙ آس پننِ بڈر حمت نبوّت ياولايت وَعَلَّمْنَاهُ مِن لَّدُنَّا عِلْمًا بيهِ اِوس اسهِ سُو خضر عليه السلام ہيچھنو ومُت پننهِ طرفه اکھ خاص علماہ۔ موسىٰ عليه السلام اُوس زانان علم اسرار الهيه قَالَ لَهُ مُوسَىٰ هَلْ أَتَّبِعُكَ عَلَىٰ أَن تُعَلِّمَنِ مِمَّا عُلِّمْتَ رُشْدًا مُوسىٰ عليه السلامن دُوپ تمن کيا حض بوپکاتوہهِ سيتِ سيتِ يته شرطس پيٺھ که تُهه کيا ہيچھناوِ ومه تمهِ علمه منزہ کينهه يُس مُفيد علم تُهه ہيچھناونه آمت ڇھوہ قَالَ إِنَّكَ لَن تَسْتَطِيعَ مَعِيَ صَبْرًا خضر عليه السلامن دوپچھ تُهه نه حض ہيکوِنه مهِ سيتِ روزِنس پيٺھ صبر کُرِ ته وَكَيْفَ تَصْبِرُ عَلَىٰ مَا لَمْ تُحِطْ بِهِ خُبْرًا بيهِ کته پاٹھِ ہيکو تُهه تته کتهِ پيٺھ صبر کُرِ ته يتهنه توہهِ احاطه کورمُت آسِوہ پننهِ علمه سيت۔ يعني يوسه کته نه توہهِ معلوم آسهِ قَالَ سَتَجِدُنِي إِن شَاءَ اللَّهُ صَابِرًا وَلَا أَعْصِي لَكَ أَمْرًا موسىٰ عليهِ السلامن دوپچھ يوڙھے خدا اَمَن تُهه لبوِمهِ صبر وضبط کرہ ڈن۔ بيهِ

قَالَ فَاِنِ اتَّبَعْتَنِیْ فَلَا تَسْـَٔلْنِیْ عَنْ شَیْءٍ حَتّٰۤی اُحْدِثَ لَكَ مِنْهُ ذِكْرًا ﴿٧٠﴾ فَانْطَلَقَا ٙ حَتّٰۤی اِذَا رَكِبَا فِی السَّفِیْنَةِ خَرَقَهَا ؕ قَالَ اَخَرَقْتَهَا لِتُغْرِقَ اَهْلَهَا ۚ لَقَدْ جِئْتَ شَیْـًٔا اِمْرًا ﴿٧١﴾ قَالَ اَلَمْ اَقُلْ اِنَّكَ لَنْ تَسْتَطِیْعَ مَعِیَ صَبْرًا ﴿٧٢﴾ قَالَ لَا تُؤَاخِذْنِیْ بِمَا نَسِیْتُ وَلَا تُرْهِقْنِیْ مِنْ اَمْرِیْ عُسْرًا ﴿٧٣﴾ فَانْطَلَقَا ٙ حَتّٰۤی اِذَا لَقِیَا غُلٰمًا فَقَتَلَهٗ ۙ قَالَ اَقَتَلْتَ

کرہ نہ بو توہہِ کُنہِ کامہِ اندر نافرمانی قَالَ فَاِنِ اتَّبَعْتَنِیْ فَلَا تَسْـَٔلْنِیْ عَنْ شَیْءٍ حَتّٰۤی اُحْدِثَ لَكَ مِنْهُ ذِكْرًا خضر علیہ السلام من دوپھ ہر گاہ تُہہ مہ سیتِ رُوزِو تلہ یتھنہ مہ پرٕژھو کُنہ چیزس متعلق یہ کیازِ نہ یہ کونہ۔ یوتتان نہ بو پانے توہہِ بیان کرہ تتھ متعلق کانہہ کتھاہ فَانْطَلَقَا حَتّٰۤی اِذَا رَكِبَا فِی السَّفِیْنَةِ خَرَقَهَا توپتہ پَنَک تم دوشوٕے صاحب برونٹھ کُن۔ بُتھِ اوس تمن دریاوس تار دِین۔ تمہِ مُوکھ کھسِت اکس تارہ ناوِہ پیٹھ ناوہ والیو پرزہ نوو خضر علیہ السلام تمو دُتھک اپور تار مُفت اُجرَ تہ ورای۔ خضر علیہ السلامن کوراتھ ناوہ نمس سوراخ تہ گَذ۔ سُہ ناو کرن عیب دار۔ قَالَ اَخَرَقْتَهَا لِتُغْرِقَ اَهْلَهَا موسیٰ علیہ السلامن دوپھ کیاحض اکھ دُیت تمو ناوہ والیو اَسہِ تاراپُور تانِ مفت اجرَ تہ ورای بیہ کوروکھ توہہِ اَتھ ناوِہ سوراخ۔ تم لُکھ بچارہ پھٹن ناوِہ سوراخ سِپدنہ مُوکھ آبس لَقَدْ جِئْتَ شَیْـًٔا اِمْرًا توہہِ کٔر وہ یہ عجیب کاماہ۔ قَالَ اَلَمْ اَقُلْ اِنَّكَ لَنْ تَسْتَطِیْعَ مَعِیَ صَبْرًا خضر علیہ السلامن دوپھ مہ ونیوہ ناتوہہِ تُہہ نہ حض ہیکوِ نہ مہ سیتِ روزنس پیٹھ صبر کٔرتھ قَالَ لَا تُؤَاخِذْنِیْ بِمَا نَسِیْتُ وَلَا تُرْهِقْنِیْ مِنْ اَمْرِیْ عُسْرًا موسیٰ علیہ السلامن دوپھ مہ حض گومُشت۔ اتھ پیٹھ مہ کٔرومہِ باز خواست۔ بیہ مہ کٔر واتھ معاملس پیٹھ مہ پیٹھ زیادہ تنگی فَانْطَلَقَا حَتّٰۤی اِذَا لَقِیَا غُلٰمًا فَقَتَلَهٗ قَالَ اَقَتَلْتَ نَفْسًا زَكِیَّةًۢ بِغَیْرِ نَفْسٍ لَقَدْ جِئْتَ شَیْـًٔا نُّكْرًا پَس پک تمِ تا اینکہ سمُکھ تمن لوکٹا اکھ۔ خضر علیہ السلامن روٹ سُہ لوکُٹ توپتہ چوٹُرنس ہوٹ تہ موٗرُن۔ حضرتِ موسیٰ اَن دوپھ کیا حض

نَفْسًا زَكِيَّةً بِغَيْرِ نَفْسٍ ۭ لَقَدْ جِئْتَ شَيْــــًٔا نُّكْرًا ﴿٧٤﴾
قَالَ اَلَمْ اَقُلْ لَّكَ اِنَّكَ لَنْ تَسْتَطِيْعَ مَعِيَ صَبْرًا ﴿٧٥﴾
قَالَ اِنْ سَاَلْتُكَ عَنْ شَيْءٍۢ بَعْدَهَا فَلَا تُصٰحِبْنِيْ ۚ قَدْ بَلَغْتَ
مِنْ لَّدُنِّيْ عُذْرًا ﴿٧٦﴾ فَانْطَلَقَا ۫ حَتّٰٓي اِذَآ اَتَيَآ اَهْلَ قَرْيَةِۨ اسْتَطْعَمَآ
اَهْلَهَا فَاَبَوْا اَنْ يُّضَيِّفُوْهُمَا فَوَجَدَا فِيْهَا جِدَارًا يُّرِيْدُ اَنْ
يَّنْقَضَّ فَاَقَامَهٗ ۭ قَالَ لَوْ شِئْتَ لَتَّخَذْتَ عَلَيْهِ اَجْرًا ﴿٧٧﴾ قَالَ
هٰذَا فِرَاقُ بَيْنِيْ وَبَيْنِكَ ۚ سَاُنَبِّئُكَ بِتَاْوِيْلِ مَا لَمْ تَسْتَطِعْ عَّلَيْهِ

---

توهہ مورونہ اکھ معصوم تہ بے گناہ شخصاہ یتھے کانہہ جُرم کرنہ ورای۔ کانسہ ہُند خُون کرنہ ورای۔ یہ تہ کروہ توہہ اکھ عجیب کوماہ تہ بے جا حرکتھاہ قَالَ اَلَمْ اَقُلْ لَّكَ اِنَّكَ لَنْ تَسْتَطِيْعَ مَعِيَ صَبْرًا حضرت خضر علیہ السلامن دوپکھ مہ ونیوہ نا توہہ تُہہ ہیکونہ مہ سیتِ پکہ نس پیٹھ صبر کرِتھ۔ قَالَ اِنْ سَاَلْتُكَ عَنْ شَيْءٍۢ بَعْدَهَا فَلَا تُصٰحِبْنِيْ حضرتِ موسیٰ ان دوپُھ ادہ حض وون ہر گاہ بو توہہ بیہ پرژھو وہ کُنہِ چیزُک تمہِ پتہ مہ رٹوُتُہہ مہِ پانس سیتِ قَدْ بَلَغْتَ مِنْ لَّدُنِّيْ عُذْرًا واقعی تُہہ چھُو پانس سیت رٹہ نس منز میون یہِ وِنن کافی عذر فَانْطَلَقَا حَتّٰٓي اِذَآ اَتَيَآ اَهْلَ قَرْيَةِۨ اسْتَطْعَمَآ اَهْلَهَا فَاَبَوْا اَنْ يُّضَيِّفُوْهُمَا پَتس پتہ پکِ تمِ بروٹھ کُن بیہِ۔ تااینکہ واتِ تمِ اکِس گامس منز۔ یتہ کین لُوکن منج تمو ضیافت مہماں نوازی مگر تمو لوکو کر تمن مہماں نوازی کرنہ نِشہِ اِنکار پتس رُود تمِ راتِ راتس فاقَے۔ صُبحس یلہِ درائے تمِ اَمہِ گامہ منزہ فَوَجَدَا فِيْهَا جِدَارًا يُّرِيْدُ اَنْ يَّنْقَضَّ فَاَقَامَهٗ پتس وُچھِ تمو اتھ گامس منز دوساہ اکھ دیوارہ اکھ ہول گومُت۔ تیار اُوس پینس۔ خضر علیہ السلامن لوگ تتھ دیوارس اَتھ۔ سُہ دیوار کورُکھ سیود روحانی طاقتہ سیت قَالَ لَوْ شِئْتَ لَتَّخَذْتَ عَلَيْهِ اَجْرًا موسیٰ اَن دوپُھ کیا حض اکھ کُرنہ تمو سان مہمان نوازی۔ بیہ کوروَکھ توہہِ مُفتے ہول گومُت دیوار سیود۔ ہر گاہ تُہہ اچھ اجرت تہ مُزدرِ

صَبْرًا ﴿٧٨﴾ اَمَّا السَّفِيْنَةُ فَكَانَتْ لِمَسٰكِيْنَ يَعْمَلُوْنَ فِى الْبَحْرِ
فَاَرَدْتُّ اَنْ اَعِيْبَهَا وَكَانَ وَرَآءَهُمْ مَّلِكٌ يَّاْخُذُ كُلَّ سَفِيْنَةٍ
غَصْبًا ﴿٧٩﴾ وَاَمَّا الْغُلٰمُ فَكَانَ اَبَوٰهُ مُؤْمِنَيْنِ فَخَشِيْنَآ اَنْ يُّرْهِقَهُمَا
طُغْيَانًا وَّكُفْرًا ﴿٨٠﴾ فَاَرَدْنَآ اَنْ يُّبْدِلَهُمَا رَبُّهُمَا خَيْرًا مِّنْهُ زَكٰوةً
وَّاَقْرَبَ رُحْمًا ﴿٨١﴾ وَاَمَّا الْجِدَارُ فَكَانَ لِغُلٰمَيْنِ يَتِيْمَيْنِ فِى

---

وصول کُر ہوتہِ اوس بہتر قَالَ هٰذَا فِرَاقُ بَيْنِيْ وَبَيْنِكَ خضر علیہ السلام من دوپچھ بَس ووِن پھہ یتھ کتھِ پیٹھ مہِ منز تہ توہہِ منز جدائی ہُند فیصلہ۔ سَاُنَبِّئُكَ بِتَاْوِيْلِ مَا لَمْ تَسْتَطِعْ عَّلَيْهِ صَبْرًا وون کرہ بو توہہِ خبر تمن کتھن ہندہ حقیقچ یمن پیٹھ توہہ صبر تہ تاب ہیو کوہ نہ کُر تھ۔ اَمَّا السَّفِيْنَةُ فَكَانَتْ لِمَسٰكِيْنَ يَعْمَلُوْنَ فِى الْبَحْرِ فَاَرَدْتُّ اَنْ اَعِيْبَهَا وون یُوسہِ ناو آس سو آس کینژن غریبن مسکینن ہنز یمِ یتھ دریاوس منز پٹن مزور محنت کُر تھ گُذارہ کران آس۔ مہ کورارادہ تمن فائدہ واتناونہ خیطرہ تہنز ناو عیب دار کرنِ۔ وَكَانَ وَرَآءَهُمْ مَّلِكٌ يَّاْخُذُ كُلَّ سَفِيْنَةٍ غَصْبًا کیازہ تمن اپارِ کن اُوس اکھ ظالم پادشہا اکھ یُس پریتھ ارہ ناوِہ (بے عیب) اوس جبراً قبضہ کران۔ یاہا نزن (ملّاحن) بیگارہِ نوان۔ مہِ کر تہنز ناو عیب دار۔ یتھ تمِ تہندہ ظلمہ نِشہِ نجات لبن وَاَمَّا الْغُلٰمُ فَكَانَ اَبَوٰهُ مُؤْمِنَيْنِ وون یُس لوکٹ اوس تمسندِ مول موج آسِ با ایمان۔ فَخَشِيْنَآ اَنْ يُّرْهِقَهُمَا طُغْيَانًا وَّكُفْرًا پَس کھوژاس سہ گرٹھہِ نہ تمن پیٹھ کرن سختی تہ سرکشی کُفرہ سیت تمن گرٹھہ نہ سہ سبب بُنن ایمانک سلب کرنک فَاَرَدْنَآ اَنْ يُّبْدِلَهُمَا رَبُّهُمَا خَيْرًا مِّنْهُ زَكٰوةً وَّاَقْرَبَ رُحْمًا پَس یژھہ اَسہِ یہے کتھ کہ تہند پروردگار دیہِ تمن تس لوکٹس بدل تہندہ خوتہ بہتر تہ رُت فرزند پاکیزگی اندر بیہِ زیادہ نزدیک شفقت و محبتس اندر۔ دپان چھہ امہِ پتہ کُر اللہ تعالیٰ ان تمن دون باژن کور عطا۔ یُس کورِہ نکاح آوُ کرنہ اکِس پیغمبرس سیت۔ تو پتہ یُس فرزند زاو تمن سُوتہِ اوس پیغمبرے۔ یُس باعثِ ہدایت بنیو وَبڈِس اکِس قومس وَاَمَّا الْجِدَارُ فَكَانَ لِغُلٰمَيْنِ يَتِيْمَيْنِ فِى الْمَدِيْنَةِ وون یُس دیوار اُوس سہ اوس شہرہ کین دون یتیمن ہُند وَكَانَ تَحْتَهٗ كَنْزٌ

الْمَدِيْنَةِ وَكَانَ تَحْتَهٗ كَنْزٌ لَّهُمَا وَكَانَ اَبُوْهُمَا صَالِحًا ۚ فَاَرَادَ رَبُّكَ اَنْ يَّبْلُغَآ اَشُدَّهُمَا وَيَسْتَخْرِجَا كَنْزَهُمَا ۖ رَحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ ۚ وَمَا فَعَلْتُهٗ عَنْ اَمْرِيْ ؕ ذٰلِكَ تَاْوِيْلُ مَا لَمْ تَسْطِعْ عَّلَيْهِ صَبْرًا ؕ﴿۸۲﴾ وَيَسْـَٔلُوْنَكَ عَنْ ذِي الْقَرْنَيْنِ ؕ قُلْ سَاَتْلُوْا عَلَيْكُمْ مِّنْهُ ذِكْرًا ؕ﴿۸۳﴾ اِنَّا مَكَّنَّا لَهٗ فِي الْاَرْضِ وَاٰتَيْنٰهُ مِنْ كُلِّ شَيْءٍ سَبَبًا ۙ﴿۸۴﴾ فَاَتْبَعَ سَبَبًا ﴿۸۵﴾ حَتّٰٓى اِذَا بَلَغَ مَغْرِبَ الشَّمْسِ وَجَدَهَا تَغْرُبُ فِيْ عَيْنٍ

---

لَّهُمَا اتھ ديوارس تل اُوس خزانه يمن دون لوکٹين هُند وَكَانَ اَبُوْهُمَا صَالِحًا بيه اُوس يمن دُون لوکٹين هُند مُول مُوج صالح ته نيک۔ تمن هندِ ه نيک آسنکهِ سببه تھاو الله تعالیٰ اَن تمن دُون لوکٹين نا بالغن هُند مال محفوظ۔ هرگاه ديوار وَسته پيه هاتته تهندس مالس سپدِ ه هالوٹ۔ سوگژهه هاضايع فَاَرَادَ رَبُّكَ اَنْ يَّبْلُغَآ اَشُدَّهُمَا وَيَسْتَخْرِجَا كَنْزَهُمَا رَحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ پَس يوژهه چانِ پروردگارن تمِ گژهن واتن پنه نس بالغ سپد نَس توپته کڈن تمِ پائے پنُن خزانه۔ يه آس چانس پروردگاره سنز کمال رحمت تهنده حقه۔ وَمَا فَعَلْتُهٗ عَنْ اَمْرِيْ بيهِ کُرِ نه مهِ تمِ چيز پائے بلکهِ کُرِ م خدايهِ سندی حُکمه۔ ذٰلِكَ تَاْوِيْلُ مَا لَمْ تَسْطِعْ عَّلَيْهِ صَبْرًا يهے کياه چهه اصل حقيقت تمن کٔتھن هنز تمن پيٹھ توههِ تاب ته صبر هيکوه نه کرِئت وَيَسْـَٔلُوْنَكَ عَنْ ذِي الْقَرْنَيْنِ بيهِ چهه لوکه پرژهان توههِ يارسول الله ذوالقرنينه سُند حال قُلْ سَاَتْلُوْا عَلَيْكُمْ مِّنْهُ ذِكْرًا تُهه فرماويو کهُ بوکره بيان توههِ عنقريب تُهند حال۔ سُه ذوالقرنين اُوس اکه پادشها جليل القدر اِنَّا مَكَّنَّا لَهٗ فِي الْاَرْضِ پٔز پاٹھِ اَسهِ کر عطا تمن تمام روی زمينچ سلطنت بادشهت وَاٰتَيْنٰهُ مِنْ كُلِّ شَيْءٍ سَبَبًا بيه کراسهِ تمن پريته کُنه قسمُک سامان عطا۔ تمهِ سيتِ تمِ پنه نين شاهی ارادن ته عزائمن پوره هيکان آسِ کٔرته فَاَتْبَعَ سَبَبًا پَس رُود تمِ تمن سامانن ته ذرايعن پته تموسيتِ تمِ واتته هيکه هن آفتاب غروب سپد نچه جايه حَتّٰٓى اِذَا بَلَغَ مَغْرِبَ الشَّمْسِ وَجَدَهَا تَغْرُبُ فِيْ عَيْنٍ حَمِئَةٍ تااينکه يلهِ واتِ تمِ آفتاب لوسنچه جايه وچھُن سُه آفتاب لوسان اکسِ کرِهنهِ رَبه هندس ناگس اندر

حَمِئَةٍ وَّوَجَدَ عِنْدَهَا قَوْمًا ۬ قُلْنَا يٰذَا الْقَرْنَيْنِ اِمَّآ اَنْ تُعَذِّبَ وَاِمَّآ اَنْ تَتَّخِذَ فِيْهِمْ حُسْنًا ﴿٨٦﴾ قَالَ اَمَّا مَنْ ظَلَمَ فَسَوْفَ نُعَذِّبُهٗ ثُمَّ يُرَدُّ اِلٰى رَبِّهٖ فَيُعَذِّبُهٗ عَذَابًا نُّكْرًا ﴿٨٧﴾ وَاَمَّا مَنْ اٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَلَهٗ جَزَآءَ ۨالْحُسْنٰى ۚ وَسَنَقُوْلُ لَهٗ مِنْ اَمْرِنَا يُسْرًا ﴿٨٨﴾ ثُمَّ اَتْبَعَ سَبَبًا ﴿٨٩﴾ حَتّٰٓى اِذَا بَلَغَ مَطْلِعَ الشَّمْسِ وَجَدَهَا تَطْلُعُ عَلٰى قَوْمٍ لَّمْ نَجْعَلْ لَّهُمْ مِّنْ دُوْنِهَا سِتْرًا ﴿٩٠﴾ كَذٰلِكَ ۭ وَقَدْ اَحَطْنَا

---

**وَّوَجَدَ عِنْدَهَا قَوْمًا** بیہ وۄچھُن تتہِ اکھ قوماہ کافرن ہُند **قُلْنَا يٰذَا الْقَرْنَيْنِ اِمَّآ اَنْ تُعَذِّبَ وَاِمَّآ اَنْ تَتَّخِذَ فِيْهِمْ حُسْنًا** اسہِ فرموو تمن اے ذوالقرنین۔ اختیار چھُوی ژِہ سانہِ طرفہ خوش کری تمن سارنی کر عذاب۔ تمِ ساری مارُکھ یکدم۔ ہرگہ خوش کری تمن پیٹھ تھاواحسان یعنی تمن کر دین حقّک تبلیغ۔ اَدہ یُس تمو اندرہ اِسلام قبول کرہ سُوتراوُن۔ تَس مہ واتناوُکنہِ قسمہ تکلیف۔ یُس تمو اندرہ انکار کرِہ سُو کرُن ہلاک۔ چنانچہ تموکر دویم کتھے اختیار **قَالَ اَمَّا مَنْ ظَلَمَ فَسَوْفَ نُعَذِّبُهٗ ثُمَّ يُرَدُّ اِلٰى رَبِّهٖ فَيُعَذِّبُهٗ عَذَابًا نُّكْرًا** چنانچہ تموکور اعلان کہ یُس اکھاہ ظلم کرِہ کُفرہ تہ اِنکارہ سیتہِ۔ تَس کرَو اسِ ضرور عذاب یعنی سہ کرون قتل اَس۔ تو پتہ ایِہ سُو واتناونہ پننہ تَس پَروردگارس نِشہِ سہ کریس تتہ سُو عذاب یُس نہ تمِ وۄچھمُت آسہِ **وَاَمَّا مَنْ اٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَلَهٗ جَزَآءَ ۨالْحُسْنٰى** بیہ یُس میانہِ دعوت و تبلیغہ پتہ ایمان انِہِ تہ رژہ عملہ کرِہ تسندِہ خیطرہ چھہ آخرَس منز رژمزورِ **وَسَنَقُوْلُ لَهٗ مِنْ اَمْرِنَا يُسْرًا** بیہ وَنواسِ تَس دُنیاءس اندر پننِ سہل تہ آسان احکام **ثُمَّ اَتْبَعَ سَبَبًا** تو پتہ ہیوت سلطان سکندرن سنز تہ سامانہ کرن مشرقس کُن گژھنہ خیطرہ تااینکہ مشرقُک شہر تہِ کرن فتح **حَتّٰٓى اِذَا بَلَغَ مَطْلِعَ الشَّمْسِ وَجَدَهَا تَطْلُعُ عَلٰى قَوْمٍ لَّمْ نَجْعَلْ لَّهُمْ مِّنْ دُوْنِهَا سِتْرًا** تااینکہ یلہِ ووت سُو آفتاب کھسہ نچہ جایہ وۄچھُن سُو کھسان اکِس قومَس پیٹھ یعنی تتھ جایہ وۄچھُن اکھ قوماہ آباد۔ اوس نہ کورمُت اَسہِ تمن آفتابس نِشہِ کانہہ ٹھوراہ۔ یعنی تمِ لُوکھ آسِ نہ لرین تہ جاین یا خیمن منز روزان۔ بلکہ آسِ تمِ ننہِ سی تاپس منز روزِت

بِمَا لَدَيْهِ خُبْرًا ﴿٩١﴾ ثُمَّ أَتْبَعَ سَبَبًا ﴿٩٢﴾ حَتَّىٰ إِذَا بَلَغَ بَيْنَ السَّدَّيْنِ
وَجَدَ مِن دُونِهِمَا قَوْمًا لَّا يَكَادُونَ يَفْقَهُونَ قَوْلًا ﴿٩٣﴾ قَالُوا يَا ذَا
الْقَرْنَيْنِ إِنَّ يَأْجُوجَ وَمَأْجُوجَ مُفْسِدُونَ فِي الْأَرْضِ فَهَلْ
نَجْعَلُ لَكَ خَرْجًا عَلَىٰ أَن تَجْعَلَ بَيْنَنَا وَبَيْنَهُمْ سَدًّا ﴿٩٤﴾ قَالَ مَا
مَكَّنِّي فِيهِ رَبِّي خَيْرٌ فَأَعِينُونِي بِقُوَّةٍ أَجْعَلْ بَيْنَكُمْ وَبَيْنَهُمْ
رَدْمًا ﴿٩٥﴾ آتُونِي زُبَرَ الْحَدِيدِ ۖ حَتَّىٰ إِذَا سَاوَىٰ بَيْنَ الصَّدَفَيْنِ قَالَ

---

زندگی بَسَر کران۔ لباسہ تہٕ پُوشاکہ ورای كَذَٰلِكَ اتھ جایہ تہٕ کور سلطان سِکندرن سُوی معاملہ یُس مغربَس منز کریون وَقَدْ أَحَطْنَا بِمَا لَدَيْهِ خُبْرًا پیٛزِ پاٹھ اسہِ اُوس اِحاطہ کورمُت تتھ سارسی یہِ تَس حاصِل سپدمُت اوس اَتھ سفرس اندر پننہِ علمہ سیت ثُمَّ أَتْبَعَ سَبَبًا توپتہٕ ہیوت سلطان سِکندرن سنز تہٕ سامانہ کرُن سفر کرنک شمالی علاقَس کُن حَتَّىٰ إِذَا بَلَغَ بَيْنَ السَّدَّيْنِ وَجَدَ مِن دُونِهِمَا قَوْمًا لَّا يَكَادُونَ يَفْقَهُونَ قَوْلًا واتان واتان ؤوت سُو دون کوہہٕ دَرن منز باگ۔ تمن کوہہٕ دَرن اپارِکِن ؤچھُکھ اکھ قوم یمِ نہٕ کُنہِ قسمچ کتھاہ بوزان آسِ۔ نہٕ آسہ تہنزہ کتھ فِکرِہ تران قَالُوا يَا ذَا الْقَرْنَيْنِ تمو دُوپ آخرِ کانسہ ترجمانہ سندہ ذریعہ ای ذوالقرنین إِنَّ يَأْجُوجَ وَمَأْجُوجَ مُفْسِدُونَ فِي الْأَرْضِ پزٕ پاٹ یتہٕ چھہ یاجوج ماجوج ہنز اکھ جماعتھاہ یمو سیٹھاہ تباہی چھہ کٔرمژ یتھ علاقس اندر فَهَلْ نَجْعَلُ لَكَ خَرْجًا عَلَىٰ أَن تَجْعَلَ بَيْنَنَا وَبَيْنَهُمْ سَدًّا یُس تُہند اجازت چھاس گرؤتہندِ خیطرہ کینہہ رقم چندہ کٔرت جمع یتھ شرطس پیٹھ کہ تُہہ کیاہ کٔرِ وہنا اسہِ منزہ تہٕ تمن منز اکھ مضبوط قلایہ قَالَ مَا مَكَّنِّي فِيهِ رَبِّي خَيْرٌ سلطان سکندرن دوپُچھ یُس مال و دولت مہِ پننِ پروردگارن عطا کورمُت چھُو۔ سُو چھُو سیٹھاہ بہتر۔ مہِ چھنہ ضرورت تُہندہِ چندہ کٔرِ تھ رقم جمع کرنچ فَأَعِينُونِي بِقُوَّةٍ أَجْعَلْ بَيْنَكُمْ وَبَيْنَهُمْ رَدْمًا ہرگاہ تُہہ مہِ سیتِ تعاؤن کران یژھان چھِوہ تیلہِ کٔرِ و تُہہ مہِ مدد پننہِ طاقت و محنتہ سیتِ۔ تااینکہ بوکرہ تو ہہ منزہ تہٕ تمن منز اکھ بوڈ قلایاہ محکم تہٕ مضبوط قائیم آتُونِي زُبَرَ الْحَدِيدِ تُہہ واتناوِ مہِ نِش شسترکِ بڈ بڈ ٹُکرہ تمِک قیمت

انْفُخُوْا ۭ حَتّٰٓى اِذَا جَعَلَهٗ نَارًا ۙ قَالَ اٰتُوْنِيْٓ اُفْرِغْ عَلَيْهِ قِطْرًا ۭ ﴿٩٦﴾ فَمَا اسْطَاعُوْٓا اَنْ يَّظْهَرُوْهُ وَمَا اسْتَطَاعُوْا لَهٗ نَقْبًا ﴿٩٧﴾ قَالَ هٰذَا رَحْمَةٌ مِّنْ رَّبِّيْ ۚ فَاِذَا جَاۗءَ وَعْدُ رَبِّيْ جَعَلَهٗ دَكَّاۗءَ ۚ وَكَانَ وَعْدُ رَبِّيْ حَقًّا ۭ ﴿٩٨﴾ وَتَرَكْنَا بَعْضَهُمْ يَوْمَىِٕذٍ يَّمُوْجُ فِيْ بَعْضٍ وَّنُفِخَ فِي الصُّوْرِ فَجَمَعْنٰهُمْ جَمْعًا ﴿٩٩﴾ ۙ وَّعَرَضْنَا جَهَنَّمَ يَوْمَىِٕذٍ لِّلْكٰفِرِيْنَ

---

تروہ توہہِ سرکاری خزانہ منزہ۔ اتی اَن تَموِ شستر و ٹکرہ تمہِ پتہ تھاوِکھ تمِ اکھ اکسِ پیٹھ لاگتھ۔ یتھ پاٹھ دیوارس منزکنہِ سیرٕ ہ چھہ تھاونہِ یوان۔ منزہ برہِ ہگ ژنہِ تہ زین۔ بیہ گنجھ اتھ اَندِ اَندِ دَمَن بستہ۔
حَتّٰٓى اِذَا سَاوٰى بَيْنَ الصَّدَفَيْنِ تا اینکہ یلہِ تمہِ شستر کھنجہ برابر سپزہ کوہ تالن سیت دوشوی طرفو۔ قَالَ انْفُخُوْا حَتّٰٓى اِذَا جَعَلَهٗ نَارًا دوپنھکھ دِیوا تھہ ژکھ توپتہ دِیُوس دمَن بستوسیتِ پھوکھ۔ ادہ یلہ یہ شستر سوُری تنگل ہیُووزلیو قَالَ اٰتُوْنِيْٓ اُفْرِغْ عَلَيْهِ قِطْرًا دُوپکھ وون اِنو ترام سُو تراوِ واتھ پیٹھ کارِ تھ۔ چنانچہ تہِ تہِ آوکرنہ۔ توپتہ سپُد دیواراہ اکھ تہ قلایاہ اکھ قایم سیٹھاہ تھود تہ بُلند فَمَا اسْطَاعُوْٓا اَنْ يَّظْهَرُوْهُ وَمَا اسْتَطَاعُوْا لَهٗ نَقْبًا بیہ پشول آسکہِ سببہ سپُد یہ تھوی کہ یاجوج وماجوج ہیوک نہ اتھ پیٹھ کھسِتھ۔ بیہ ہیوکھ نہ تتھ گوٗد تہ سوراخ کرِ تھ کُنہ جایہِ۔ اتھ چھہِ ونان سدِّ سکندری قَالَ هٰذَا رَحْمَةٌ مِّنْ رَّبِّيْ ۚ فَاِذَا جَاۗءَ وَعْدُ رَبِّيْ جَعَلَهٗ دَكَّاۗءَ ۚ وَكَانَ وَعْدُ رَبِّيْ حَقًّا سلطان سکندرن دوپک یہِ دیوار تہ یہ قلاے بناوُن تہ باتمام واتُن چھہ محض میانس پروردگارہ سنز بڈ مہربانی۔ مگر یلہِ اللہ تعالیٰ سُند وعدہ قیامَت واتہ اتھ دیوارس گرِہ سمستر میانس پروردگارہ سُند وعدہ چھُو حق تہ پوز وَتَرَكْنَا بَعْضَهُمْ يَوْمَىِٕذٍ يَّمُوْجُ فِيْ بَعْضٍ تمہِ دوہہ گرواسِ تھنز حالت امہ قسمچ کہ تمِ آسن اڈِاڈین منز اژان۔ یتھ پاٹھ آبک مُوج چھہِ اکھ اکسِ منز اژان۔ نیرن امہِ جایہِ منزہ نیبر فوجو فوجو۔ امہِ پتہ آسہِ قیامَت۔ چنانچہِ کینہہ کالاہ گزھتِ بیہ پُوغس منز گوڈنیک پھوکھ دِنہ۔ تمہِ سیتِ سپدِہ سورُوی عالَم فنا۔ وَّنُفِخَ فِي الصُّوْرِ توپتہ اِیہِ دوٗیُم پھُوکھ دِنہ پُوغس اندر یمہِ سیت ساری بیہِ زندہ سپدَن فَجَمَعْنٰهُمْ جَمْعًا پَس کرو کھ اکسِ ساری

عَرْضًا ﴿١٠٠﴾ الَّذِينَ كَانَتْ أَعْيُنُهُمْ فِي غِطَاءٍ عَنْ ذِكْرِي وَكَانُوا لَا يَسْتَطِيعُونَ سَمْعًا ﴿١٠١﴾ أَفَحَسِبَ الَّذِينَ كَفَرُوا أَنْ يَتَّخِذُوا عِبَادِي مِنْ دُونِي أَوْلِيَاءَ ۚ إِنَّا أَعْتَدْنَا جَهَنَّمَ لِلْكَافِرِينَ نُزُلًا ﴿١٠٢﴾ قُلْ هَلْ نُنَبِّئُكُمْ بِالْأَخْسَرِينَ أَعْمَالًا ﴿١٠٣﴾ الَّذِينَ ضَلَّ سَعْيُهُمْ فِي الْحَيَاةِ الدُّنْيَا وَهُمْ يَحْسَبُونَ أَنَّهُمْ يُحْسِنُونَ صُنْعًا ﴿١٠٤﴾ أُولَٰئِكَ الَّذِينَ كَفَرُوا بِآيَاتِ رَبِّهِمْ وَلِقَائِهِ فَحَبِطَتْ أَعْمَالُهُمْ فَلَا

---

جمع اکہ اکہ محشرہ کسِ میدانس اندر وَعَرَضْنَا جَهَنَّمَ يَوْمَئِذٍ لِلْكَافِرِينَ عَرْضًا تمی دوہہ انون اُسِ نار جہنّم کافرن برونٹھ کُن وارہ کارہ الَّذِينَ كَانَتْ أَعْيُنُهُمْ فِي غِطَاءٍ عَنْ ذِكْرِي یمن کافرن ہنزہ اچھ آسہ پردَن تہ ٹھرین تل پُوشیدہ میانہِ یادہِ نشہِ۔ یعنی درنیٹھ اوسکھ نہ یِوان مِن آیاتِ قدرت یمہِ سیتِ بُوپمہ ہکھ زِتس۔ مُیون کرہ ہن یاد وَكَانُوا لَا يَسْتَطِيعُونَ سَمْعًا بیہ آس نہ تمِ قرآنِ مجیدکِ آیات بوزنک تہِ طاقت تھاوان أَفَحَسِبَ الَّذِينَ كَفَرُوا أَنْ يَتَّخِذُوا عِبَادِي مِنْ دُونِي أَوْلِيَاءَ کیاہ گمان چھا کافرن کہ میانین بندن کیا بناوَن تہ رٹن پرستش کرت مہ مُقابلہ پنن مددگار۔ تہ بنِہ نہ ہرگز إِنَّا أَعْتَدْنَا جَهَنَّمَ لِلْكَافِرِينَ نُزُلًا کیازہ اسہِ چھو یمنی کافرن ہندِہ خیطرہ نار جہنّم تیار تھومُت گوڈنی پیش کرنک اکھ چیزاہ قُلْ هَلْ نُنَبِّئُكُمْ بِالْأَخْسَرِينَ أَعْمَالًا فرماویو کھتہہ یارسُول اللہ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم اسِ کروو توہہِ بیان کہ کم لُوکھ آسَن سیٹھاہ نقصان و تاوانس اندر عملو کن۔ یعنی کمن ہنزہ عملہِ گژھن ضایع تہ بے کار الَّذِينَ ضَلَّ سَعْيُهُمْ فِي الْحَيَاةِ الدُّنْيَا تم گے تمِ یہنز کوشش ضائع سپز دنیاء چہ زندگی اندر دنیا ژھانڈان ژھانڈان وَهُمْ يَحْسَبُونَ أَنَّهُمْ يُحْسِنُونَ صُنْعًا تمن چھہ پننہِ جایہِ گُمان کہ تمِ چھہِ یہِ رژ کاماہ کران أُولَٰئِكَ الَّذِينَ كَفَرُوا بِآيَاتِ رَبِّهِمْ وَلِقَائِهِ مگر حقیقت چھہ یہے کہ تمِ گے تمِ تمو اِنکار کور پننہِ نِس پروردگارہ سندین آیاتن بیہ تسندس دیدارس تہ تس برونہہ کُن حاضر سپدنس فَحَبِطَتْ أَعْمَالُهُمْ فَلَا نُقِيمُ لَهُمْ يَوْمَ الْقِيَامَةِ وَزْنًا لہذا اتُلوَنہ اسِ تہندِہ خیطرہ قیامتک دوہ ترکرے تہنزہ عملہ تولنہ خیطرہ

نُقِيمُ لَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ وَزْنًا ﴿١٠٥﴾ ذٰلِكَ جَزَآؤُهُمْ جَهَنَّمُ بِمَا كَفَرُوْا وَاتَّخَذُوْٓا اٰيٰتِيْ وَرُسُلِيْ هُزُوًا ﴿١٠٦﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ كَانَتْ لَهُمْ جَنّٰتُ الْفِرْدَوْسِ نُزُلًا ﴿١٠٧﴾ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا لَا يَبْغُوْنَ عَنْهَا حِوَلًا ﴿١٠٨﴾ قُلْ لَّوْ كَانَ الْبَحْرُ مِدَادًا لِّكَلِمٰتِ رَبِّيْ لَنَفِدَ الْبَحْرُ قَبْلَ اَنْ تَنْفَدَ كَلِمٰتُ رَبِّيْ وَلَوْ جِئْنَا بِمِثْلِهٖ مَدَدًا ﴿١٠٩﴾

---

ذٰلِكَ جَزَآؤُهُمْ جَهَنَّمُ بِمَا كَفَرُوْا وَاتَّخَذُوْٓا اٰيٰتِيْ وَرُسُلِيْ هُزُوًا یُہے کیا چھو سزا تِھند نارِ جہنم کیازہ تمِ آسِ اکھ اِنکار کران بیہ آسِ میانین آیاتن تہٕ میانین پیغمبرن استہزاء تہٕ ٹھٹھہ کران اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ كَانَتْ لَهُمْ جَنّٰتُ الْفِرْدَوْسِ نُزُلًا پَزِ پاٹھِ یمو لوکو ایمان اون تہٕ رٕژہ عملہ کرِکھ تِھندِ ہ خیطرٕ ہ چھہ فرِدوسک باغ پیش کشاہ یعنی گوڈنچی ضیافتاہ یُسہ تِمن پیش لیہٕ کرنہ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا لَا يَبْغُوْنَ عَنْهَا حِوَلًا تِمنی باغن منز آسہِ روزُن تِمن ہمیشہ۔ خواہشی کرن نہ تمِ تمو باغو منزہ نیرنچ۔ نہ کڈِکھ تمو باغو اندرہ کانہہ باوجود آں کرو کھ اس عطاتمِ تم چیز تمِ تمہِ خوتہٕ بہترٕ تہٕ رتِ آسَن قُلْ لَّوْ كَانَ الْبَحْرُ مِدَادًا لِّكَلِمٰتِ رَبِّيْ لَنَفِدَ الْبَحْرُ قَبْلَ اَنْ تَنْفَدَ كَلِمٰتُ رَبِّيْ وَلَوْ جِئْنَا بِمِثْلِهٖ مَدَدًا فرماوِو تُہہ یا رسُول اللہ لوکن ہر گاہ میانِس پروردگارہ سنزہ کتھہ یعنی تمِ کلمات و عبارات تِھندین کمالات و صفاتن پیٹھ دلالت کران چھہ لیکھنہ خیطرٕ ہ سمندر آسَن میلہِ بدل، تمِ ساری مُوکلن تہٕ ختم گژھن۔ میانِس پروردگارہ سند کلمات ختم گژھنہ برونٹھ۔ بیہ ہر گاہ اسِ تِمن سمندرن ہی بے سمندر تہِ مددتہٕ خیطرٕ ہ ملناووک تِمن سیت۔ تمِ تہِ مُوکلن۔ لیکھان لیکھان مگر کمالات و صفاتِ آلٰہیہ سپدن نہ ختم کیازہ تمِ چھہ غیر متناہی۔ لہٰذا چھہ الوہیّت تہٕ ربوبیّت مخصوص تَسِ یُتْ قُلْ تُہہ فرماویو کھ یارسول اللہ یہ کتھہ تہٕ کہ اے کافرو تہہ یُس اِنکارہ سیتِ مہ پیش یوان چھوہ کیاہ بُو چھُوسہ توہہِ برونٹھ گُن کانہہ ترِٹھہ کتھاہ پیش کران یُسہ ناممُکن تہٕ دشوار چھہ اِنَّمَآ اَنَا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ يُوْحٰٓى اِلَيَّ اَنَّمَآ اِلٰهُكُمْ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ بُو چھوس نہ مگر توہی ہیو اکھ بشراہ۔ توہہِ تہٕ مہِ منز چھہ فرق یہے کہ وحی اِلٰہی چھُو مہ پیٹھ نازِل سپدان کہ تُہند چھُو نہ اکس معبُودس ورای کانہہ تہٕ۔ نہ چھُو وحی واتُن کانہہ عجیب کتھاہ۔ نہ چھُو توحیدِ باری تعالیٰ کانہہ وحشت

قُلْ اِنَّمَآ اَنَا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ يُوْحٰٓى اِلَيَّ اَنَّمَآ اِلٰـهُكُمْ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ ۚ فَمَنْ كَانَ يَرْجُوْا لِقَآءَ رَبِّهٖ فَلْيَعْمَلْ عَمَلًا صَالِحًا وَّلَا يُشْرِكْ بِعِبَادَةِ رَبِّهٖٓ اَحَدًا ﴿۱۱۰﴾ ع

---

ناک اَمراہ۔ وُتن ہے تُہہ مہ اِنکار کران چھوِہ تہ کیازہ۔ فَمَنْ كَانَ يَرْجُوْا لِقَآءَ رَبِّهٖ فَلْيَعْمَلْ عَمَلًا صَالِحًا وَّلَا يُشْرِكْ بِعِبَادَةِ رَبِّهٖٓ اَحَدًا وُون یُس اکھاہ امیدوار آسہِ پنہ نِس پروردِگارہ سندِہ دیدارُک، تس سیتِ ملاقات کرہ نگ تُہند محبوب تہ مُقرب بنہ نگ اَدہ سُوکَرِن میانس پیغمبر برحق آسنس پڑھ کَرِ تہ میانہِ شریعتہ موجب رتّہ عملہ۔ بیہ مہ تھاوِن سُو پنہ نِس پروردگارہ سندِس عبادتس منز کانسہ اَکس شریک۔ یعنی توحیدُ ورسالتُک تھاوِن کامِل اعتقاد۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ۝

كٓهٰيٰعٓصٓ ۝١ ذِكْرُ رَحْمَتِ رَبِّكَ عَبْدَهٗ زَكَرِيَّآ ۝٢ اِذْ نَادٰى رَبَّهٗ نِدَآءً خَفِيًّا ۝٣ قَالَ رَبِّ اِنِّيْ وَهَنَ الْعَظْمُ مِنِّيْ وَاشْتَعَلَ الرَّاْسُ شَيْبًا وَّلَمْ اَكُنْۢ بِدُعَآئِكَ رَبِّ شَقِيًّا ۝٤ وَاِنِّيْ خِفْتُ الْمَوَالِيَ مِنْ وَّرَآءِيْ وَكَانَتِ امْرَاَتِيْ عَاقِرًا فَهَبْ لِيْ مِنْ لَّدُنْكَ وَلِيًّا ۝٥ يَّرِثُنِيْ

---

كٓهٰيٰعٓصٓ تمِ چھِ حروف مُقطعات۔ تِمَن ہنُد معنی چھُو خدایسی معلُوم ذِكْرُ رَحْمَتِ رَبِّكَ عَبْدَهٗ زَكَرِيَّآ یہِ چھُو تہندِس پروردگارہ سندِہ تمہِ رحمتُک ذِکر یُوسہ رحمت تمِ پننہ نِس بندس حضرتِ زکریاءس عطا کٔرِ۔ اِذْ نَادٰى رَبَّهٗ نِدَآءً خَفِيًّا یلہِ تمو کھٹِتھ راژ ہنزِہ اَنہِ گٹہِ منز پننہ نِس پروردگارس آلو دُیت، پست آوازِہ سیتِ، یُتھنہ بیہِ کانہہ بوزِہ، کیازِہ بجُرس اندر اولاد ژھانڈٕن زون تمو مند چھہ قَالَ رَبِّ اِنِّيْ وَهَنَ الْعَظْمُ مِنِّيْ وَاشْتَعَلَ الرَّاْسُ شَيْبًا دپُن میانہ پروردگارہ، میانہِ اڈجہِ، استخوان گٔیہ کمزور بجرہ سببہ۔ بیہِ چھتیوم کلہ سوٗرُوی۔ یِتھِس حالس منز اولاد ژھانڈُن اُوسہ نہ شایان۔ مگر چانِس قُدرتِ کاملس نِشہِ چھُونہ کینہہ دُور۔ بیہِ چھُس بُو ہمیشہ چانہِ قدرتُک تہ رحمتُک ظہور وچھنُک خوگر تہ عادی سپدمُت۔ چنانچہ وَلَمْ اَكُنْۢ بِدُعَآئِكَ رَبِّ شَقِيًّا بیہِ چھُوسنہ بُو ازتان ژہ منگنس اندر زانہہ تہِ ناکام تہ خالی رُودمُت۔ ازکہ پتھ کُن تہِ چھُس امیدوار چانِس اجابتس۔ وَاِنِّيْ خِفْتُ الْمَوَالِيَ مِنْ وَّرَآءِيْ بُو چھُس کھوژان پننہ نین رشتہ دارن، تمِ ماکرن نہ میانہ مرنہ پتہ، میانہِ مرضی موافق دِینچ تہ شریعچ خِدمت۔ یہوی وجہ چھُو کہ بُو چھُس یتھ بجُرس اندر اولاد ژھانڈان وَكَانَتِ امْرَاَتِيْ عَاقِرًا بیہِ آس آشین میانِ ہانٹھ گوڈہ پیٹھے۔ لہٰذا اچھنہ مہِ اولادبنہٕچ ظاہری کانہہ صورتھاہ فَهَبْ لِيْ مِنْ لَّدُنْكَ وَلِيًّا يَّرِثُنِيْ وَيَرِثُ مِنْ اٰلِ يَعْقُوْبَ وونِ کر تہ ژہ پننہِ خاص لطف و مہربانی سیتِ اسباب عادین ہندِہ وساطہ

وَيَرِثُ مِنْ اٰلِ يَعْقُوْبَ ۖ وَاجْعَلْهُ رَبِّ رَضِيًّا ۝٦ يٰزَكَرِيَّآ اِنَّا نُبَشِّرُكَ بِغُلٰمِ ِۨ اسْمُهٗ يَحْيٰى ۙ لَمْ نَجْعَلْ لَّهٗ مِنْ قَبْلُ سَمِيًّا ۝٧ قَالَ رَبِّ اَنّٰى يَكُوْنُ لِيْ غُلٰمٌ وَّكَانَتِ امْرَاَتِيْ عَاقِرًا وَّقَدْ بَلَغْتُ مِنَ الْكِبَرِ عِتِيًّا ۝٨ قَالَ كَذٰلِكَ ۚ قَالَ رَبُّكَ هُوَ عَلَيَّ هَيِّنٌ وَّقَدْ خَلَقْتُكَ مِنْ قَبْلُ وَلَمْ تَكُ شَيْـًٔا ۝٩ قَالَ رَبِّ اجْعَلْ لِّيْٓ اٰيَةً ۭ قَالَ

---

ورای مہِ تیُتھ فرزنداہ عطائیس اکھ میانین خاص علمن ہُند وارِث بنِہ ہابیہِ خاندان یعقوب علیہ السلام سندین موروثی علومن ہُند وارِث بنِہ ہا وَاجْعَلْهُ رَبِّ رَضِيًّا میانہِ پروردگارہ بیہ کرتن سُو فرزند باعمل آسنہ سُوکھہ مقبول تہ محبوب پُن۔ چنانچہِ بواسطہ ملائک سپُد تمن ارشاد يٰزَكَرِيَّآ اِنَّا نُبَشِّرُكَ بِغُلٰمِ ِۨ اسْمُهٗ يَحْيٰى اے زکریا بیشک اَسِ چھِی ژِہ خبر دِوان اکِس فرزندہ سنز یُسند ناو چھُو یحییٰ لَمْ نَجْعَلْ لَّهٗ مِنْ قَبْلُ سَمِيًّا اَسہِ چھُونہ کورمُت پیدہ امِس برونٹھ امسُند ہمنام۔ از تال چھونہ امہِ ناوُک کانہہ انسان پیدہ آمُت کرنہ قَالَ رَبِّ اَنّٰى يَكُوْنُ لِيْ غُلٰمٌ حضرت زکریا علیہ السلا من وُون پروردگارامہِ کِتھہ پاٹھِ بنہِ پٔچھو وَّكَانَتِ امْرَاَتِيْ عَاقِرًا میانِ آشین چھہ ہانٹھ وَّقَدْ بَلَغْتُ مِنَ الْكِبَرِ عِتِيًّا بو چھُوس پانہ وو تمت بُجرہ کس نہایتس۔ مہِ چھُونہ معلُوم سپدان ژٔے اَسہِ فرزند عطا کرکھ تہ کِتھ پاٹھِ۔ اِس سپدٕوہ دوشوے باژ جوان کِنہ مہِ آسہِ نوو نِکاح کرُن کِنہ موجودہ حِسابسے اندر کرکھ ژہ اَسہِ فرزند عطا قَالَ كَذٰلِكَ اللہ تعالیٰ اَن فرمووس موجود حِسابے اندر قَالَ رَبُّكَ هُوَ عَلَيَّ هَيِّنٌ وَّقَدْ خَلَقْتُكَ مِنْ قَبْلُ وَلَمْ تَكُ شَيْـًٔا چون پروردگار چھُو فرماوان یہِ چھُو مہِ نِشہِ آسان۔ اچِ کیاہ چھہ حقیقتھے اَمہِ خوتہ بجہِ کامہِ تہ چھہ مہِ کَرِمژہ۔ مثلاً ژہ چھوکھ پیدہ کورمُت ازکہ برونٹھ۔ ژہ اوسُکھنہ کہنی۔ تِتھے پاٹھ چھِنہ اسباب عادِیہ تہ کینہہ چیز۔ یلہِ بوپننہ قدرتہ سیتِ نیستس چھُس ہست کران، نابُودس چھُس بُود کران۔ معدومس چھُوس موجود کران۔ اکِس موجودَس نِشہِ بیاکھ موجود پیدہ کرُن یہِ کیاہ مشکل چھُوی ژہ مینس قدرتس نِشہِ بوزنہ یوان قَالَ رَبِّ اجْعَلْ لِّيْٓ اٰيَةً حضرتِ زکریاان دُوپ پروردگار اوعدہ سیتِ سپدٕم اطمینان۔ وٕن کرکھنا میانہ

اٰيَتُكَ اَلَّا تُكَلِّمَ النَّاسَ ثَلٰثَ لَيَالٍ سَوِيًّا ﴿١٠﴾ فَخَرَجَ عَلٰى قَوۡمِهٖ
مِنَ الۡمِحۡرَابِ فَاَوۡحٰۤى اِلَيۡهِمۡ اَنۡ سَبِّحُوۡا بُكۡرَةً وَّعَشِيًّا ﴿١١﴾
يٰيَحۡيٰى خُذِ الۡكِتٰبَ بِقُوَّةٍ ؕ وَاٰتَيۡنٰهُ الۡحُكۡمَ صَبِيًّا ﴿١٢﴾ ۙ وَّحَنَانًا
مِّنۡ لَّدُنَّا وَزَكٰوةً ؕ وَكَانَ تَقِيًّا ﴿١٣﴾ ۙ وَّبَرًّاۢ بِوَالِدَيۡهِ وَلَمۡ يَكُنۡ
جَبَّارًا عَصِيًّا ﴿١٤﴾ وَسَلٰمٌ عَلَيۡهِ يَوۡمَ وُلِدَ وَيَوۡمَ يَمُوۡتُ وَيَوۡمَ
يُبۡعَثُ حَيًّا ﴿١٥﴾ ۧ وَاذۡكُرۡ فِى الۡكِتٰبِ مَرۡيَمَ ۘ اِذِ انۡتَبَذَتۡ مِنۡ اَهۡلِهَا

---

مزيد اطمينان خيطر ڪا نه علامت ھاڏي مقرر. تہ سيت مه ترھ ڄاڪره ڙه کور تھ مه عطا فرزند قَالَ اٰيَتُكَ اَلَّا تُكَلِّمَ النَّاسَ ثَلٰثَ لَيَالٍ سَوِيًّا الله تعالىٰ ان فرموؤس چون علامت تہ نشانہ ڇهوڙه هيکهنہ تندرست آسته. ترين شمن تہ ترين دُوهن لوکن سيت کٿه کرتھ فَخَرَجَ عَلٰى قَوۡمِهٖ مِنَ الۡمِحۡرَابِ پَس دراوُکهہ منزه پنه نَس قومَس نشہ فَاَوۡحٰۤى اِلَيۡهِمۡ اَنۡ سَبِّحُوۡا بُكۡرَةً وَّعَشِيًّا کٿه ہيچن نه کرتھ کينهہ پَس هوؤن تمن اِشارہ کہ تُهہ کرو خدايه سنزپاکی بيان صُبحس تہ شامَس. چنانچه کينهہ کالاہ گوتہ حضرت يحيٰ سپد پيده. تو پته يله سُوودت بنِ شعورس الله تعالىٰ فرماوان اَسہ فرموو تَس يٰيَحۡيٰى خُذِ الۡكِتٰبَ بِقُوَّةٍ اى يحيٰ کتاب يعنی توراتس کرزوره تهپ. يعنی تتھ پيٹھ کرزوره عمل تمہ ساتہ تہ اوس توراتھی کتب شريعت. انجيل اُوسہ ونہ نازل سپدمُت وَاٰتَيۡنٰهُ الۡحُكۡمَ صَبِيًّا بيہ کر اسہ حضرتِ يحيٰ اَس نبوّت عطالوکچارسی منز وَّحَنَانًا مِّنۡ لَّدُنَّا وَزَكٰوةً ؕ وَكَانَ تَقِيًّا بيہ کرِ اَسہ عطا تَس پننہ طرفہ رقّتِ قلب بيہ اخلاقن ہنز پاکيزگی بيہ اوس سُو سيٹھاہ پرہيزگار وَّبَرًّاۢ بِوَالِدَيۡهِ وَلَمۡ يَكُنۡ جَبَّارًا عَصِيًّا بيہ اوس سُو فرمانبردار، خدمتگار مالِس ماجہ ہُند. بيہ اوس نہ سُو مخلوقن نسبت سرکش تہ خالقس نسبت نافرمان. پروردگارس نشہ آس تمہ سيتِ مکرسم تہ محترم کہ الله تعالىٰ چھُو فرماوان تهندِ حقّہ وَسَلٰمٌ عَلَيۡهِ يَوۡمَ وُلِدَ وَيَوۡمَ يَمُوۡتُ وَيَوۡمَ يُبۡعَثُ حَيًّا سلام بوئن تمن پيٹھ يمہ دوہہ تمِ زاے بيہ يمہ دوہہ تمِ يمہ عالمہ گژهن بيہ يمہ دوہہ تمِ مرنہ پتہ بيہ تُلنہ ين زندہ سپدِت وَاذۡكُرۡ فِى الۡكِتٰبِ مَرۡيَمَ بيہ

مَكَانًا شَرْقِيًّا ﴿١٦﴾ فَاتَّخَذَتْ مِنْ دُونِهِمْ حِجَابًا فَأَرْسَلْنَا إِلَيْهَا رُوحَنَا فَتَمَثَّلَ لَهَا بَشَرًا سَوِيًّا ﴿١٧﴾ قَالَتْ إِنِّي أَعُوذُ بِالرَّحْمَٰنِ مِنْكَ إِنْ كُنْتَ تَقِيًّا ﴿١٨﴾ قَالَ إِنَّمَا أَنَا رَسُولُ رَبِّكِ لِأَهَبَ لَكِ غُلَامًا زَكِيًّا ﴿١٩﴾ قَالَتْ أَنَّىٰ يَكُونُ لِي غُلَامٌ وَلَمْ يَمْسَسْنِي بَشَرٌ وَلَمْ أَكُ بَغِيًّا ﴿٢٠﴾ قَالَ كَذَٰلِكِ قَالَ رَبُّكِ

---

اِذِ انْتَبَذَتْ مِنْ اَهْلِهَا مَكَانًا شَرْقِيًّا حضرتِ مریم پاوِژتیس قرآن مجید کس اکِس حِصّس اندر قصہ یلہِ الگ رُوزنہ سوپنہ نین گرِہ کین لُوکن نِشہِ الگ اکِس مکانس اندر یُس بیت المُقدّسکہ مشرقیہِ طرفہ اوس۔ ماہواری عذرہ نِشہ پاکی ہُند سران کرنہ خیطرہ فَاتَّخَذَتْ مِنْ دُوْنِهِمْ حِجَابًا ترووِن آویزان تِمن یپارِکن ٹھور تہ پَردہ یُتھ تتھ ٹھرس تل رُوز تھ سوسران کرِہ فَاَرْسَلْنَآ اِلَيْهَا رُوْحَنَا امہ پتہ یلہِ سران کٔر تھ مُوکلے یہِ، پلو لاگِن اتی سوزاسہِ تس نِشہِ پنُن رُوح یعنی جبریل امین علیہ السلام فَتَمَثَّلَ لَهَا بَشَرًا سَوِيًّا یُوہے رُوداسِ برونٹھ گنہِ انسان بنت درکمالِ حُسن وجمال قَالَتْ اِنِّيْٓ اَعُوْذُ بِالرَّحْمٰنِ مِنْكَ اِنْ كُنْتَ تَقِيًّا حضرتِ مریمس یلہِ نظر پیہِ تس پیٹھ۔ دپنہِ لجِ پناہ چھس بُو منگان حضرتِ رحمانس ژٕہِ نِشہِ، چھکھے ژٕہ شریف تہ خدایس کھوژہوُن یمہ جایہِ نِش سپَد دُور فوراً۔ تِمن گییہ راے یہ ما چھو کانہہ انسانی قَالَ اِنَّمَآ اَنَا رَسُوْلُ رَبِّكِ جبریلِ امین دوپُس بانبرمہ، بُو چھوس نہ انسان بلکہ چھس بُو چانِس پروردگارہ سُندہ طرفہ سوزنہ آمُت اکھ ملکاہ اکھ لِاَهَبَ لَكِ غُلٰمًا زَكِيًّا یُتھ بو ژٕہ عطا گرَے خدایہِ سندہ طرفہ اکھ فرزنداہ اکھ یُس پاک وپاکیزہ تہ نُندہ بون آسہ۔ یُودِمے آسس منزیانالس منز پھوکھ تمہِ اثرہ سیت تہ خدایہِ سندہِ حکمتہ سیتِ روزی ژٕہ شِکمس منز حمل تو پتہ زیوی ژٕہ فرزندہ قَالَتْ اَنّٰى يَكُوْنُ لِيْ غُلٰمٌ وَّلَمْ يَمْسَسْنِيْ بَشَرٌ وَّلَمْ اَكُ بَغِيًّا حضرت مریمن دوپُس مہ کتھ پاٹھِ بنہِ فرزند حالانکہِ مہ چھُو نہ باقاعدہ نکاح کٔرِ تھ اَتھ تہ لوگمُت کانسہِ انسانَن وُبھتانِ بیہ چھسنہ بوبدکارتہِ آسمٕژ زانہہ قَالَ كَذٰلِكِ جبریلن دوپُس یتھے پاٹھِ کانسہِ بشرہ سندہِ تھپ کرنہ ورای سپدہ ژٕہِ نِشہِ فرزند پیدہ بو چھو

هُوَ عَلَيَّ هَيِّنٌ ۚ وَلِنَجْعَلَهٗٓ اٰيَةً لِّلنَّاسِ وَرَحْمَةً مِّنَّا ۚ وَكَانَ
اَمْرًا مَّقْضِيًّا ﴿٢١﴾ فَحَمَلَتْهُ فَانْتَبَذَتْ بِهٖ مَكَانًا قَصِيًّا ﴿٢٢﴾
فَاَجَآءَهَا الْمَخَاضُ اِلٰى جِذْعِ النَّخْلَةِ ۚ قَالَتْ يٰلَيْتَنِيْ مِتُّ
قَبْلَ هٰذَا وَكُنْتُ نَسْيًا مَّنْسِيًّا ﴿٢٣﴾ فَنَادٰىهَا مِنْ تَحْتِهَآ
اَلَّا تَحْزَنِيْ قَدْ جَعَلَ رَبُّكِ تَحْتَكِ سَرِيًّا ﴿٢٤﴾ وَهُزِّيْٓ

---

سےَ نہ یہِ پانہ وناں قَالَ رَبُّكِ هُوَ عَلَيَّ هَيِّنٌ بلکہ چون پروردگار چھُو فرماوان مالِس وراے ژٕ فرزند عطا کرُن چھُو مےٚ نِشہِ سہَل تہٕ آسان۔ بیہِ چھُو چون پروردگار فرماوان کہ اَسِہ چھِنہٕ یہِ فرزند بلا اسباب عادیہ پیدہ کران وَلِنَجْعَلَهٗٓ اٰيَةً لِّلنَّاسِ وَرَحْمَةً مِّنَّا یُتھ کرون سوٲسِ پننہ قدرتُک اکھ نِشانہٕ لُوکن ہندِہ خیٖطرٕ، بیہِ لُوکن ہندِہ خیٖطرٕ پننہِ رحمتُک ذریعہٕ دُنیاہس اندر وَكَانَ اَمْرًا مَّقْضِيًّا اَمِس فرزندہ سُند بے پدرِ پیدہ سپُدن چھُو اکھ طے کرنہٕ آمُت امراہ، یُس ضرور عملہِ اندر ییِہ یہ چھہٕ کتھاہ فیصلہ کرنہٕ آمٕژ فَحَمَلَتْهُ پس تُل حضرت مریمن فرزندہ سُند بار خود بخود، وچھان وچھان فَانْتَبَذَتْ بِهٖ مَكَانًا قَصِيًّا پَس گٔییہ سُو گھرٕ نِشہِ دُور سُو حمل ہیٚتھ الگ اکِس کوہَس تہٕ جنگلس منز فَاَجَآءَهَا الْمَخَاضُ اِلٰى جِذْعِ النَّخْلَةِ یلہِ وضع حملُک دود شروع سپُدُس تمہِ داد وانتاوسُو اکِس خجرِ کُلہِ کِس گوڈس تل اکِس تھزرس پیٹھ، تتہٕ سیٖتِ ڈوکھہ دِتھ قَالَتْ يٰلَيْتَنِيْ مِتُّ قَبْلَ هٰذَا وَكُنْتُ نَسْيًا مَّنْسِيًّا دَپنہِ لجِ اَے کاش بو کونہ مُوٗےیس اَمہِ برونٹھی، تا اینکہ گُمرٕ آسہانہ بود، ژیتہٕ سی آسہِ ہانہ کانسہِ ناوی ہیہ ہَم نہ کانہہ فَنَادٰىهَا مِنْ تَحْتِهَآ پَس دُتُس آلو جبریلِ امینن اَمہ تھزرہ بونہِ کنِ اَلَّا تَحْزَنِيْ قَدْ جَعَلَ رَبُّكِ تَحْتَكِ سَرِيًّا غمگین تہٕ آزردہ مہ سپدَ۔ پَتر پاٹھِ چانِ پروردگارن کور ژٕ بون کنِ اکھ ناگہ راداہ اکھ جاری۔ یمیُک آب اُوس دوا تمن سارنی عوارضن ہُند یم پریسکہِ وقتہ زنانن لاحق چھہِ سپدان بیہِ سپز سُو خوش تمہِ ناگہ راڈک آب وچھِتھ۔ طبیعتس منز سپُدُس فرحت و سرور پیدہ۔ وَهُزِّيْٓ اِلَيْكِ بِجِذْعِ النَّخْلَةِ تُسٰقِطْ عَلَيْكِ رُطَبًا جَنِيًّا بیہ دِہ ژٕ دنن پانس کُن خجرہ کُلہ

إِلَيْكِ بِجِذْعِ النَّخْلَةِ تُسٰقِطْ عَلَيْكِ رُطَبًا جَنِيًّا ﴿٢٥﴾
فَكُلِيْ وَاشْرَبِيْ وَقَرِّيْ عَيْنًا ۚ فَإِمَّا تَرَيِنَّ مِنَ الْبَشَرِ أَحَدًا ۙ
فَقُوْلِيْٓ إِنِّيْ نَذَرْتُ لِلرَّحْمٰنِ صَوْمًا فَلَنْ أُكَلِّمَ الْيَوْمَ إِنْسِيًّا ﴿٢٦﴾ ۚ
فَأَتَتْ بِهٖ قَوْمَهَا تَحْمِلُهٗ ۭ قَالُوْا يٰمَرْيَمُ لَقَدْ جِئْتِ شَيْئًا فَرِيًّا ﴿٢٧﴾
يٰٓأُخْتَ هٰرُوْنَ مَا كَانَ أَبُوْكِ امْرَأَ سَوْءٍ وَّمَا كَانَتْ أُمُّكِ بَغِيًّا ﴿٢٨﴾ ۖ
فَأَشَارَتْ إِلَيْهِ ۭ قَالُوْا كَيْفَ نُكَلِّمُ مَنْ كَانَ فِي الْمَهْدِ صَبِيًّا ﴿٢٩﴾

---

کِس گوڈس یہ تراوی ژیہ پیٹھ پُوپ پُوپ تازہ خضر فَكُلِيْ وَاشْرَبِيْ وَقَرِّيْ عَيْنًا تِم خضر کھہٕ ژہ، اَمہٕ ناگُک آب چہٕ ژہ، امِس نُندہ بانس فرزندس گُن وچھِت شہلاوِ پنہٕ اَچھ۔ بیہٕ تلن یہٕ فرزند کو چھہٕ کیتھ توپتہ گرژھہ پنہٕ نِس قومَس نِشہٕ فَإِمَّا تَرَيِنَّ مِنَ الْبَشَرِ أَحَدًا ہر گاہ وَتہٕ پکان کانہہ انساناہ وچھہٕ ہَن، سُو ہیہٕ ژہٕ پرٕ ژُھن گارُن فَقُوْلِيْٓ إِنِّيْ نَذَرْتُ لِلرَّحْمٰنِ صَوْمًا فَلَنْ أُكَلِّمَ الْيَوْمَ إِنْسِيًّا ژہ دَپ تَس اشارہ پاٹھہٕ، مےٚ چھُو خدایہٕ رحمانہ سندِ خیطرٕ روزہ داری ہُند نذر تھووُمت بو ہیکہ نہ کانسہٕ اِنسانس سیتِ ازکتھ کٔرِتھ فَأَتَتْ بِهٖ قَوْمَهَا تَحْمِلُهٗ چنانچہ واژیہٕ فرزند ہیتھ پنہ نِس قومَس نِشہٕ، سُو اوُس کھونہ کیتھ قَالُوْا يٰمَرْيَمُ لَقَدْ جِئْتِ شَيْئًا فَرِيًّا لوکو دُوپُہس ای مریم ژہ آیکھ اکھ عجیب کتھاہ ہیتھ، بچاہ مالِس ورای يٰٓأُخْتَ هٰرُوْنَ مَا كَانَ أَبُوْكِ امْرَأَ سَوْءٍ وَّمَا كَانَتْ أُمُّكِ بَغِيًّا ای ہمشیرہٕ ہارُون ژٔے شریف زادِ چھکھ نہ اوس مُول چون یِچھ شخصاہ نہ آس مُوج چانِ بدکار یہٕ کیاہ کورُتھ ژیہ فَأَشَارَتْ إِلَيْهِ توپتہ ہوٗد کھ حضرتِ مریمَن اِشارہ سیتِ اَمِس فرزندس گُن زِہ اَمسی پرٕ ژِھو قَالُوْا كَيْفَ نُكَلِّمُ مَنْ كَانَ فِي الْمَهْدِ صَبِيًّا تِموٚ دوپُہس اَسِ کتھ پاٹھہٕ گرٕ وَتھ کھونہ منزٕ کِس لوکٹس سیتِ۔ تِم چھہٕ وَنہٕ تےٚ کتھ کران امِہ فرزندن ہیرٕ ژہ کتھ کرن۔ قَالَ إِنِّيْ عَبْدُ اللّٰهِ ۟ۚ اٰتٰنِيَ الْكِتٰبَ وَجَعَلَنِيْ نَبِيًّا دوپُن اے لوکو بیشک بُو چھُس خدایہٕ سُند خاص بندہ تِم کُرمہٕ عطا پننِ کتاب بیہٕ کورنس بو پیغمبر وَّجَعَلَنِيْ مُبٰرَكًا أَيْنَ مَا كُنْتُ بیہٕ کورنس بو برکتہ وول کیازِہ میانہ سیتِ واتہ لوٗکن دینی نفع۔ یتہٕ نَس بو روزہ، یُوت یُوت

قَالَ اِنِّیۡ عَبۡدُ اللّٰهِ ۣ اٰتٰنِیَ الۡكِتٰبَ وَجَعَلَنِیۡ نَبِیًّا ﴿۳۰﴾ وَّجَعَلَنِیۡ
مُبٰرَكًا اَیۡنَ مَا كُنۡتُ ۪ وَاَوۡصٰنِیۡ بِالصَّلٰوةِ وَالزَّكٰوةِ مَا دُمۡتُ
حَیًّا ﴿۳۱﴾ وَّبَرًّۢا بِوَالِدَتِیۡ ۫ وَلَمۡ یَجۡعَلۡنِیۡ جَبَّارًا شَقِیًّا ﴿۳۲﴾ وَالسَّلٰمُ
عَلَیَّ یَوۡمَ وُلِدۡتُّ وَیَوۡمَ اَمُوۡتُ وَیَوۡمَ اُبۡعَثُ حَیًّا ﴿۳۳﴾ ذٰلِكَ
عِیۡسَی ابۡنُ مَرۡیَمَ ۚ قَوۡلَ الۡحَقِّ الَّذِیۡ فِیۡهِ یَمۡتَرُوۡنَ ﴿۳۴﴾ مَا كَانَ
لِلّٰهِ اَنۡ یَّتَّخِذَ مِنۡ وَّلَدٍ ۙ سُبۡحٰنَهٗ ؕ اِذَا قَضٰۤی اَمۡرًا فَاِنَّمَا یَقُوۡلُ

---

بوواتہ تتہ کرہ بواشاعتِ دین۔ **وَاَوۡصٰنِیۡ بِالصَّلٰوةِ وَالزَّكٰوةِ مَا دُمۡتُ حَیًّا** بیہِ کورمہ خدایَن تاکیدی حُکم نماز پرُنگ تہ زکوٰۃ دِنگ یُوت کال بوزِندہ چھوس دُنیاءس اندر **وَّبَرًّۢا بِوَالِدَتِیۡ وَلَمۡ یَجۡعَلۡنِیۡ جَبَّارًا شَقِیًّا** بیہِ کورنس بوماجہِ ہُند فرمانبردار، بیہِ کورنَس نہ بوزبردست تہ بدبخت کہ خالقہ سندِ حقوق کرہا ترک یا والدہَ ماجدہ سندیو حقوقو نِشہِ کرہا سرکشی **وَالسَّلٰمُ عَلَیَّ یَوۡمَ وُلِدۡتُّ وَیَوۡمَ اَمُوۡتُ وَیَوۡمَ اُبۡعَثُ حَیًّا** خدایہ سندِہ طرفہ چھہ مےِ پیٹھ سَلام، یمہِ دوہہ بوزاس بیہ یمہِ دوہہ بومرہ بیہ یمہِ دوہہ بودوبارہ زِندہ سپدِت تھودیمہ تُلنہ **ذٰلِكَ عِیۡسَی ابۡنُ مَرۡیَمَ** یوہَے کیاگو حضرت عیسیٰ حضرتِ مَریمہ سُند فرزند یمِن ہِند احوال تہ اقوال وننہ آئے یمہِ سیتِ تِہُند مقبول بندہ آسُن ثابت سپدان چھُو۔ نہ چھہ نصاریٰ اَن ہنز کتھ صحیح کہ بندگی منزہ کڈِتھ الوہیتّس منزواتناوِن۔ نہ چھہ یہُودن ہنز کتھ صحیح کہ مقبول بندہ آسنہ نِشہِ کڈِتھ تِمن پیٹھ بے شمار ہانژہ لاگنہ **قَوۡلَ الۡحَقِّ الَّذِیۡ فِیۡهِ یَمۡتَرُوۡنَ** یہَے چھہِ پزٕ کتھ یتھ منزلُوکھ شک کران چھہِ۔ نصاریٰ چھہِ وَنان یہِ عیسیٰ چھُو خدایہِ سُند نچو، حالانکہ **مَا كَانَ لِلّٰهِ اَنۡ یَّتَّخِذَ مِنۡ وَّلَدٍ** خدایہِ سُند شان چھُونہ کہ سُو کیا بناوہ کانسہِ پنُن نچو **سُبۡحٰنَهٗ** سُو چھُو اولاد آسنہ نِشہِ مُنزّہ تہ پاک۔ تمسُند شان چھُو کہ **اِذَا قَضٰۤی اَمۡرًا فَاِنَّمَا یَقُوۡلُ لَهٗ كُنۡ فَیَكُوۡنُ** سُو یلہِ ارادہ چھُو کران کُنہِ چیزہ کہِ پیدہ کرُنگ سُو چھُونہ تتھ چیزس وَنان کینہہ تہِ مگر لفظِ 'کُن' یعنے پیدہ سپد، اتی چھُو سُو چیز پیدہ سپدان، ازعدم بوجودِ یوان۔ حضرتِ عیسیٰ تہ کورُن یتھے پاٹھِ بحُکمِ کُن پیدہ۔ یتھس باکمال خدایس نچو

لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ ﴿٣٥﴾ وَاِنَّ اللّٰهَ رَبِّيْ وَرَبُّكُمْ فَاعْبُدُوْهُ ؕ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ﴿٣٦﴾ فَاخْتَلَفَ الْاَحْزَابُ مِنْۢ بَيْنِهِمْ ۚ فَوَيْلٌ لِّلَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ مَّشْهَدِ يَوْمٍ عَظِيْمٍ ﴿٣٧﴾ اَسْمِعْ بِهِمْ وَاَبْصِرْ ۙ يَوْمَ يَاْتُوْنَنَا لٰكِنِ الظّٰلِمُوْنَ الْيَوْمَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿٣٨﴾ وَاَنْذِرْهُمْ يَوْمَ الْحَسْرَةِ اِذْ قُضِيَ الْاَمْرُ ۘ وَهُمْ فِيْ غَفْلَةٍ وَّهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿٣٩﴾ اِنَّا نَحْنُ نَرِثُ الْاَرْضَ وَمَنْ عَلَيْهَا وَاِلَيْنَا

---

آسُن چھُو عیب تہٕ نقصان۔ وَاِنَّ اللّٰهَ رَبِّيْ وَرَبُّكُمْ فَاعْبُدُوْهُ بیہِ چھُو بیشک میون تہٕ تُہند پروردگار اللہ تعالیٰ۔ پس کٔرِو تہنزٕ ی عبادت هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ یَہے چھُوہ سیٖز وَتھ توحیدس پیٹھ یِژھ دلیل آسنہٕ باوجود فَاخْتَلَفَ الْاَحْزَابُ مِنْۢ بَيْنِهِمْ پس توحیدس اِنکار کٔرتھ کٔر الگ الگ وتھ اختیار مختلف جماژو تموٚ اندرہ فَوَيْلٌ لِّلَّذِيْنَ كَفَرُوْا مِنْ مَّشْهَدِ يَوْمٍ عَظِيْمٍ پس افسوس تِمن لُوکن یمو اِنکار کور۔ تِمن اِمہِ بڑٕہ دوہہٕ ضرور حاضر سپدٕن پیہِ ملک الجبارس برونٹھ کُن یعنی قیامتک دوہ اَسْمِعْ بِهِمْ وَاَبْصِرْ کوتاہ آسَن تِم پور بوزہ وَنِ تہٕ پورٕ وچھہِ وَنِ تمہِ دوہہٕ يَوْمَ يَاْتُوْنَنَا لٰكِنِ الظّٰلِمُوْنَ الْيَوْمَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ مگر از چھہِ تِم ظالم دُنیاہس اندر ننہٕ گمراہی اَندر وَاَنْذِرْهُمْ يَوْمَ الْحَسْرَةِ اِذْ قُضِيَ الْاَمْرُ بیہِ کٔرِو تِمن بیم حسرت وافسوسکہِ دُکھ یمہِ دوہہٕ پتم فیصلہ یِیہِ دِنہٕ جنتین تہٕ دوزخین برونٹھ کنہِ یِیہِ موتس گھش کرنہٕ۔ دوشوے ییٖن بوزناونہٕ حُکمِ خلود۔ وَهُمْ فِيْ غَفْلَةٍ وَّهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ وُنیکنس دُنیاہس اندر چھہِ تِم لُوکھ غفلتس اندر بوڈمتِ تِم چھنہِ پرٛژھہ کران آخرِ چھُو تِمن اَکہ دوہہٕ مرُن اِنَّا نَحْنُ نَرِثُ الْاَرْضَ وَمَنْ عَلَيْهَا وَاِلَيْنَا يُرْجَعُوْنَ پزٕ پاٹھٕ اسی چھہِ پتولاکہ ساری زمینک وارث۔ بیہِ تِمن سارنی لُوکن ہنٛدِ تِم اِتھ زمینس پیٹھ چھہِ۔ بیہِ چھُو سارنی پتولاکہ اَسی کُن واتُن تہٕ رجوع کرُن۔ تو پتہٕ کھین تِم سزا شرکُک تہٕ کُفرُک وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ اِبْرٰهِيْمَ بیہِ کٔرِو لُوکن نِشہِ ذِکر قرآن مجیدس اندر یُس قِصہ حضرت ابراہیمہ سُند چھُو یُتھ تِمن توحید ورسالتُک قصہ پُور منکشف سپدِہ اِنَّهٗ كَانَ

يُرْجَعُوْنَ ﴿٤٠﴾ وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ اِبْرٰهِيْمَ ۬ؕ اِنَّهٗ كَانَ صِدِّيْقًا نَّبِيًّا ﴿٤١﴾ اِذْ قَالَ لِاَبِيْهِ يٰۤاَبَتِ لِمَ تَعْبُدُ مَا لَا يَسْمَعُ وَلَا يُبْصِرُ وَلَا يُغْنِيْ عَنْكَ شَيْئًا ﴿٤٢﴾ يٰۤاَبَتِ اِنِّيْ قَدْ جَآءَنِيْ مِنَ الْعِلْمِ مَا لَمْ يَاْتِكَ فَاتَّبِعْنِيْۤ اَهْدِكَ صِرَاطًا سَوِيًّا ﴿٤٣﴾ يٰۤاَبَتِ لَا تَعْبُدِ الشَّيْطٰنَ ؕ اِنَّ الشَّيْطٰنَ كَانَ لِلرَّحْمٰنِ عَصِيًّا ﴿٤٤﴾ يٰۤاَبَتِ اِنِّيْۤ اَخَافُ اَنْ يَّمَسَّكَ عَذَابٌ مِّنَ الرَّحْمٰنِ فَتَكُوْنَ لِلشَّيْطٰنِ وَلِيًّا ﴿٤٥﴾ قَالَ اَرَاغِبٌ

---

صِدِّيْقًا نَّبِيًّا بیشک آسِ تمِ پریتھ کتھِ منز پوزونہ وَنِ۔ بیہ آسِ پیغمبر اِذْ قَالَ لِاَبِيْهِ يٰۤاَبَتِ لِمَ تَعْبُدُ مَا لَا يَسْمَعُ وَلَا يُبْصِرُ وَلَا يُغْنِيْ عَنْكَ شَيْئًا یلہِ تموٗ فرمووٗ مالِس پنہ نِس، یُس مُشرک اوس اے میانہِ بابہ ژہ کیازِ چھُکھ پرستش کران تمن پُوتلین ہنز یم نہ کینہہ بوزان چھِ بیہ یم نہ کینہہ ڈ چھان چھِ بیہ یمنہ کُنہِ کامہِ بکاریوان چھِ، کینہہ کرِتھ ہیکان چھِ۔ مُراد چھُو اَمہِ منزہ پوتل۔ حالانکہ ہرگاہ تمِ پوتلِ وچھہ ہَن تہِ بوزہ ہَن تہِ کُنہِ کامہِ تہِ لگ ہَن توتہ آسِ نہ تمِ قابِل پرستش کیازِ واجبُ الوجود آسِ نہ۔ وَوَن چھِنہ کتھے یتھ حالَس اَندر يٰۤاَبَتِ اِنِّيْ قَدْ جَآءَنِيْ مِنَ الْعِلْمِ مَا لَمْ يَاْتِكَ فَاتَّبِعْنِيْۤ اَهْدِكَ صِرَاطًا سَوِيًّا ای میانہِ بابہ میہ نِشہِ چھُو ووٗتمت خدایہ سندہ طرفہ اکھ علماہ۔ یُس نہ ژہ نِشہِ ووت یتھ منزنہ غلطی ہُند کُنہِ قِسمہ احتمالے چھُو۔ ژہ چھے نہ تمِچ خبری۔ لہذا پکھتہ ژہ میانہِ وَتہِ۔ میان مُتابعت کرتہ۔ بوہاوہ ہے سیٔز وَتھ یعنے توحیدچ وَتھ يٰۤاَبَتِ لَا تَعْبُدِ الشَّيْطٰنَ اِنَّ الشَّيْطٰنَ كَانَ لِلرَّحْمٰنِ عَصِيًّا ای میانہ بابہ مَتہ کرتہ شیطانہ سنز پرستش یعنی شیطانہ سندِہ وننہ مُوجب پوتلین ہنز پرستش۔ پئز پاٹھِ یہ شیطان چھُو اوسُمت گوڈہ پیٹھے خدایہِ سُند نافرمان لہذا شوبیا امسنز پیروی کرنِ يٰۤاَبَتِ اِنِّيْۤ اَخَافُ اَنْ يَّمَسَّكَ عَذَابٌ مِّنَ الرَّحْمٰنِ فَتَكُوْنَ لِلشَّيْطٰنِ وَلِيًّا ای میانہِ بابہ مہ چھَہ نٹھ ژہ گوژھوی نہ حضرتِ رحمانہ سندِہ طرفہ کانہہ عذاباہ وَلنہ ییٚن ہمس گرڈھکنہ ژہ شیطانہ سُند رَفیق بنِن عذابَس اَندر قَالَ اَرَاغِبٌ اَنْتَ عَنْ اٰلِهَتِيْ يٰۤاِبْرٰهِيْمُ تمِ مالِ ووننس تورہ ای ابراہیم ژہ چھُکھ میانین معبودن نِشہِ بُتھ پھران لَئِنْ لَّمْ

اَرَاغِبٌ اَنۡتَ عَنۡ اٰلِهَتِیۡ یٰۤاِبۡرٰهِیۡمُ ۚ لَئِنۡ لَّمۡ تَنۡتَهِ لَاَرۡجُمَنَّکَ وَاهۡجُرۡنِیۡ مَلِیًّا ﴿۴۶﴾
قَالَ سَلٰمٌ عَلَیۡکَ ۚ سَاَسۡتَغۡفِرُ لَکَ رَبِّیۡ ؕ اِنَّهٗ کَانَ بِیۡ حَفِیًّا ﴿۴۷﴾ وَ
اَعۡتَزِلُکُمۡ وَمَا تَدۡعُوۡنَ مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ وَاَدۡعُوۡا رَبِّیۡ ۫ۖ عَسٰۤی اَلَّاۤ
اَکُوۡنَ بِدُعَآءِ رَبِّیۡ شَقِیًّا ﴿۴۸﴾ فَلَمَّا اعۡتَزَلَهُمۡ وَمَا یَعۡبُدُوۡنَ مِنۡ
دُوۡنِ اللّٰهِ ۙ وَهَبۡنَا لَهٗۤ اِسۡحٰقَ وَیَعۡقُوۡبَ ؕ وَکُلًّا جَعَلۡنَا نَبِیًّا ﴿۴۹﴾
وَوَهَبۡنَا لَهُمۡ مِّنۡ رَّحۡمَتِنَا وَجَعَلۡنَا لَهُمۡ لِسَانَ صِدۡقٍ عَلِیًّا ﴿۵۰﴾ ع

---

**تَنۡتَهِ لَاَرۡجُمَنَّکَ وَاهۡجُرۡنِیۡ مَلِیًّا** ہر گاہ نے ژہ اَمہِ نشہِ پتھ روزکھ کنہِ لایِ لایِ گرٕ تھ بو سنگسار۔ چھُے پان بچاوُن تلہ روزمہ نشہِ کینہہ کالاہ دُور **قَالَ سَلٰمٌ عَلَیۡکَ سَاَسۡتَغۡفِرُ لَکَ رَبِّیۡ اِنَّهٗ کَانَ بِیۡ حَفِیًّا** حضرتِ ابراہیمن دوپُس میانہِ طرفہ چھےَ سلام۔ توتہِ منگہ بو چانہِ خیطرہ پننہ نِس پرٕوردگارس مغفرت۔ بیشک سُہ چھُ مے پیٹھ سیٹھاہ مہربان **وَ اَعۡتَزِلُکُمۡ وَمَا تَدۡعُوۡنَ مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ وَاَدۡعُوۡا رَبِّیۡ عَسٰۤی اَلَّاۤ اَکُوۡنَ بِدُعَآءِ رَبِّیۡ شَقِیًّا** بو روزہ الگ اکھ توہہِ نشہِ بیہِ تمن تُہہ عِبادَت کران چھوِہ معبُود برحقس ورای۔ تو پتہ کرہ بو اطمینانہ سان الگ رُوزِت پننہِ نِس پرٕوردگارہ سنز عبادت۔ بیہ چھہ امید کہ بو روزہ نہ پننہ نِس پروردگارس عبادت کرِٕت محروم تہ نامُراد یتھ پاٹھِ بُت پرست پننہ نین باطِل معبُودن پرستش کرِٕ تھ محرُوم تہ نامُراد چھہِ روزان۔ یہ کتھ باتھ کرٕ تھ سپد تمن نشہِ علیحدہ ملک شامس کُن کرٕ کھ ہجرت **فَلَمَّا اعۡتَزَلَهُمۡ وَمَا یَعۡبُدُوۡنَ مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ** ادہ یلہِ حضرتِ ابراہیمن تمن نشہِ بیہِ تہندین معبودان باطِلن نشہِ، یہنز تمِ معبُودِ برحق تراوِتھ پرستش کران آسِ جُدا سپُدِت تمہِ شہرہ نشہِ ہجرت کرٕ **وَهَبۡنَا لَهٗۤ اِسۡحٰقَ وَیَعۡقُوۡبَ وَکُلًّا جَعَلۡنَا نَبِیًّا** عطا کور اَسہِ حضرت ابراہیمس دوٚیُم فرزند اسحاق بیہ فرزندہ سُند فرزند یعقوب علیہِ السلام۔ بیہ کرٕ اَسہِ تمِ دوشوِے صاحب پیغمبر۔ تمِ رَفاقتہ خیطرہ بُت پرست برادری خوتہ بہتر آس۔ **وَوَهَبۡنَا لَهُمۡ مِّنۡ رَّحۡمَتِنَا** بیہِ کرِٕ اَسہِ تمن واریاہ قسمکِ کمالات عطا کرِٕت پننہِ رَحمتُک اکھ حصّہِ عطا **وَجَعَلۡنَا لَهُمۡ لِسَانَ صِدۡقٍ عَلِیًّا** بیہِ کور اَسہِ آیندہ نسلن اندر تُہند ناو نیک تہِ

وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ مُوْسٰىٓ اِنَّهٗ كَانَ مُخْلَصًا وَّكَانَ رَسُوْلًا نَّبِيًّا ﴿٥١﴾ وَنَادَيْنٰهُ مِنْ جَانِبِ الطُّوْرِ الْاَيْمَنِ وَقَرَّبْنٰهُ نَجِيًّا ﴿٥٢﴾ وَوَهَبْنَا لَهٗ مِنْ رَّحْمَتِنَآ اَخَاهُ هٰرُوْنَ نَبِيًّا ﴿٥٣﴾ وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ اِسْمٰعِيْلَ اِنَّهٗ كَانَ صَادِقَ الْوَعْدِ وَكَانَ رَسُوْلًا نَّبِيًّا ﴿٥٤﴾ وَكَانَ يَاْمُرُ اَهْلَهٗ بِالصَّلٰوةِ وَالزَّكٰوةِ وَكَانَ عِنْدَ رَبِّهٖ مَرْضِيًّا ﴿٥٥﴾ وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ اِدْرِيْسَ اِنَّهٗ كَانَ صِدِّيْقًا نَّبِيًّا ﴿٥٦﴾ وَّرَفَعْنٰهُ

---

بُلند۔ ساری آسَن تعظیمہ سان تُہند ذکرِ خیر کران۔ اسحٰق علیہ السلامَس برونٹھ اوس اَسہِ تِمن گوڈنیُک فرزند اسماعیل علیہ السلام عطا کورمُت۔ تِمن اندر تہِ آسِ تیٚمے صِفات۔ تُہند ذِکرِ ییہ برونٹھ پکھَن وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ مُوْسٰىٓ بیہِ کٔرِو ذکر قرآن مجیدس منز حضرتِ موسیٰ سُند قِصہٕ۔ یعنی سُو کٔرِو لُوکن نِشہِ بیان اِنَّهٗ كَانَ مُخْلَصًا تمِ تہِ آسِ پنٕز پاٹھِ خاص کرنہ آمتِ بندہ وَّكَانَ رَسُوْلًا نَّبِيًّا بیہِ آسِ تمِ رسُول تہِ نبی تہِ۔ تِمن آسِ تیمِ دوشوٕے شان وَنَادَيْنٰهُ مِنْ جَانِبِ الطُّوْرِ الْاَيْمَنِ وَقَرَّبْنٰهُ نَجِيًّا بیہِ دُیت اَسہِ تِمن نادکوہ طورہ کہِ دچھنہِ طرفہ کنِ۔ بیہِ گرِہ اَسہِ تِمن سیتِ سیرٕہ کتھ پانٔس نکھ انتھ۔ وَوَهَبْنَا لَهٗ مِنْ رَّحْمَتِنَآ اَخَاهُ هٰرُوْنَ نَبِيًّا بیہِ کور اَسہِ تِمن پننہِ مہربانی سیتِ تُہند برادر ہارُون علیہ السلام پیغمبر بناوتھ عطا تہندِہ درخواست کرنہ موجب تہندِہ مددہ خیطرہ وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ اِسْمٰعِيْلَ اِنَّهٗ كَانَ صَادِقَ الْوَعْدِ وَكَانَ رَسُوْلًا نَّبِيًّا بیہِ کٔرِو لُوکن نِشہِ ذکر قرآنِ مجیدس اندر اسماعیل علیہ السلامہ سُند حال۔ بیشک تمِ آس وَعدہ پنٕزِ کرہونِ۔ بیہِ آسِ تمِ رسُول تہِ نبی۔ تِمن تہِ آسِ دوشوِٕے شان وَكَانَ يَاْمُرُ اَهْلَهٗ بِالصَّلٰوةِ وَالزَّكٰوةِ وَكَانَ عِنْدَ رَبِّهٖ مَرْضِيًّا بیہِ آسِ تمِ پننہ نٔس عیالس حُکم کران نماز پرٕنک بیہِ زکوٰۃ دِنُک۔ بیہِ آسِ تمِ پننہ نٔس پروردگارہ سندِ مقبول بندہ وَاذْكُرْ فِي الْكِتٰبِ اِدْرِيْسَ بیہِ کٔرِو قرآن مجیدس اندر حضرتِ ادریسہ سُند حال لوکن نِشہِ بیانِ۔ اِنَّهٗ كَانَ صِدِّيْقًا نَّبِيًّا بیشک آسِ تمِ سیٹھاہ پزٕزِ پیغمبر وَّرَفَعْنٰهُ مَكَانًا عَلِيًّا بیہِ واتناوِ اَسہِ تمِ کمالاتن اندر تھدِس

مَكَانًا عَلِيًّا ﴿٥٧﴾ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ اَنْعَمَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ مِّنَ النَّبِيّٖنَ
مِنْ ذُرِّيَّةِ اٰدَمَ وَمِمَّنْ حَمَلْنَا مَعَ نُوْحٍ وَّمِنْ ذُرِّيَّةِ اِبْرٰهِيْمَ
وَاِسْرَآءِيْلَ وَمِمَّنْ هَدَيْنَا وَاجْتَبَيْنَا اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُ
الرَّحْمٰنِ خَرُّوْا سُجَّدًا وَّبُكِيًّا ﴿٥٨﴾ السجدة فَخَلَفَ مِنْ بَعْدِهِمْ خَلْفٌ
اَضَاعُوا الصَّلٰوةَ وَاتَّبَعُوا الشَّهَوٰتِ فَسَوْفَ يَلْقَوْنَ غَيًّا ﴿٥٩﴾
اِلَّا مَنْ تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَاُولٰٓئِكَ يَدْخُلُوْنَ

---

مرتبس تھزٕ جایہ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ اَنْعَمَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ مِّنَ النَّبِيّٖنَ یِمے پیغمبر گئے تم یمن اللہ تعالیٰ اَن پٕنُن اِنعام کور عطا پیغمبر واندرہ مِنْ ذُرِّيَّةِ اٰدَمَ یم ساری پیغمبرہ چھہ حضرتِ آدمہ سندہٕ ذریۃ اندرہ وَمِمَّنْ حَمَلْنَا مَعَ نُوْحٍ بیہ تموا اندرہ یم اَسہِ کھارِناوہِ اندر حضرت نوحس سیتِ۔ وَمِنْ ذُرِّيَّةِ اِبْرٰهِيْمَ بیہ حضرت ابراہیمہ سنزہٕ ذرّیتہ اندرہ وَاِسْرَآءِيْلَ بیہ حضرت یعقوب سندہٕ ذریتہ اندرہ وَمِمَّنْ هَدَيْنَا وَاجْتَبَيْنَا بیہ تموا اندرہ یمن اَسہِ وَتھ ہاو، بیہ یم اَسہِ مقبول تہ برگزیدہ کٔر، باوجود امہِ مقبولیتہ آسِ تمِ بندگی اندر تتھ منہمک کہِ اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُ الرَّحْمٰنِ خَرُّوْا سُجَّدًا وَّبُكِيًّا یلہِ تمن پیٹھ حضرت رحمانہ سندِ آیات پرنہ آسِ یوان تانِ آسِ تمِ بکمال عاجزی وِانکساری سجدہ دِوان۔ وَدان وَدان زمینس پیٹھ کلہ تراوان۔ پٔتہٕ پان بَرِ تھ دِوان فَخَلَفَ مِنْ بَعْدِهِمْ خَلْفٌ اَضَاعُوا الصَّلٰوةَ تو پتہ آے تمن پتہ تھندِ بعضی خلف یمو نماز برباد تہ ضائع کر۔ خواہ اعتقاداً اِنکار کرنہ سیتِ خواہ عملاً سہواً ادا کرنس اندر کوتاہی کرنہ سیتِ یا تمہِ کین ضروری حقوقن تہ آدابن اندر کوتاہی کرنہ سیتِ۔ وَاتَّبَعُوا الشَّهَوٰتِ بیہ کرکھ ناجائز نفسہ چن خواہشن ہنز پیروی فَسَوْفَ يَلْقَوْنَ غَيًّا پس وچھن تمِ عنقریب آخرتس منز تُچ خرابی، خواہ اَبدی خواہ غیر اَبدی اِلَّا مَنْ تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَاُولٰٓئِكَ يَدْخُلُوْنَ الْجَنَّةَ وَلَا يُظْلَمُوْنَ شَيْئًا مگر یمو کفر و معصیتہ نِشہِ توبہ کرتھ ایمان اون تہ رٔژہ عملہ کریکھ، پَس تم لُوکھ واتن جنتس اندر، تمہ قسمٕچ خرابی وچھنہ ورای۔ بیہ ییکھنہ ظلم کرنہ کُنہ قسمہ۔ جنّٰتِ

الْجَنَّةَ وَلَا يُظْلَمُونَ شَيْـًٔا ۝٦٠ جَنّٰتِ عَدْنِ ﹰالَّتِيْ وَعَدَ
الرَّحْمٰنُ عِبَادَهٗ بِالْغَيْبِ ۭ اِنَّهٗ كَانَ وَعْدُهٗ مَاْتِيًّا ۝٦١ لَا يَسْمَعُوْنَ
فِيْهَا لَغْوًا اِلَّا سَلٰمًا ۭ وَلَهُمْ رِزْقُهُمْ فِيْهَا بُكْرَةً وَّعَشِيًّا ۝٦٢
تِلْكَ الْجَنَّةُ الَّتِيْ نُوْرِثُ مِنْ عِبَادِنَا مَنْ كَانَ تَقِيًّا ۝٦٣
وَمَا نَتَنَزَّلُ اِلَّا بِاَمْرِ رَبِّكَ ۚ لَهٗ مَا بَيْنَ اَيْدِيْنَا وَمَا خَلْفَنَا
وَمَا بَيْنَ ذٰلِكَ ۚ وَمَا كَانَ رَبُّكَ نَسِيًّا ۝٦٤ رَبُّ السَّمٰوٰتِ

---

عَدْنِ ﹰالَّتِيْ وَعَدَ الرَّحْمٰنُ عِبَادَهٗ بِالْغَيْبِ ۭ اِنَّهٗ كَانَ وَعْدُهٗ مَاْتِيًّا تِمن جنتن منز واتن تِمن منز ہمیشہ روزُن آسِکھ۔ تِمن جنتن ہُند حضرتِ رحمانن پنہ نین سیت وعدہ کورمُت چھُو غائبانہ۔ پزٕ پاٹھِ تِہند وعدہ چھُو پُورہ کرنہ آمُت یعنی تِمہِ کِس پورہ سپدنس اندر چھُونہ شکھی کانہہ لَا يَسْمَعُوْنَ فِيْهَا لَغْوًا تِمن جنتن منز بوزن نہ تِم کانہہ بیہودہ کتھاہ اِلَّا سَلٰمًا مگر پریتھ طرفہ آسن سلامے سلامہ۔ پانہ وانِ تہٕ سلامے ملائکن ہندِہ طرفہ تہٕ سلامے وَلَهُمْ رِزْقُهُمْ فِيْهَا بُكْرَةً وَّعَشِيًّا تِہندِہ خیٖرہ چھُو تِمن جنتن اندر کھین تِہند، صُبحس تہٕ شامس تہٕ تِلْكَ الْجَنَّةُ الَّتِيْ نُوْرِثُ مِنْ عِبَادِنَا مَنْ كَانَ تَقِيًّا تِمے جنت یِمن ہند ذکر کرنہ آو کرواس عطاوِرثہ پاٹھ پنہ نیو بندواندرہ تِمن تِم شانت تہٕ پرہیزگار آسن وَمَا نَتَنَزَّلُ اِلَّا بِاَمْرِ رَبِّكَ جبریلِ امینہ سندِس یِنس منز سپُد کینہہ کالاہ تاخیر تہٕ کافرو ہیت طعنہ دِنِ، نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن ہُند دلِ مُبارک سپُد آزردہ۔ تِمہِ پتہ یلہِ جبریلِ امین آو تِمو پرٕژھس تاخیرُک سبب اللہ تعالیٰ اَن فرموو جبریلِ امینس ژہٕ وَن امیُک جواب کہ وَمَا نَتَنَزَّلُ اِلَّا بِاَمْرِ رَبِّكَ اَسِ نہ حق چھنہِ زمینس پیٹھ وسان مگر تُہندِس پروردگارہ سندِ ی حُکمہ لَهٗ مَا بَيْنَ اَيْدِيْنَا وَمَا خَلْفَنَا وَمَا بَيْنَ ذٰلِكَ تہٕ سوُری یہِ اَسہِ برونٹھ کنہِ چھُو آیندہ، بیہِ یہِ اَسہِ پتہ کنہِ چھُو گزشتہ وقتس اندر، بیہِ یہِ اتھ درمیان چھُو موجودہ وقتس اندر، سارُوی چھُو خدایس پُور علم وَمَا كَانَ رَبُّكَ نَسِيًّا بیہِ چھُونہ پروردگار تُہند کانہہ چیز مشراوہ وُن رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا سُوی چھُو مالِک آسمانن تہٕ زمین ہُند بیہِ یہِ

وَالْأَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا فَاعْبُدْهُ وَاصْطَبِرْ لِعِبَادَتِهِ ۚ هَلْ تَعْلَمُ
لَهُ سَمِيًّا ﴿٦٥﴾ وَيَقُولُ الْإِنسَانُ أَإِذَا مَا مِتُّ لَسَوْفَ أُخْرَجُ حَيًّا ﴿٦٦﴾
أَوَلَا يَذْكُرُ الْإِنسَانُ أَنَّا خَلَقْنَاهُ مِن قَبْلُ وَلَمْ يَكُ شَيْئًا ﴿٦٧﴾
فَوَرَبِّكَ لَنَحْشُرَنَّهُمْ وَالشَّيَاطِينَ ثُمَّ لَنُحْضِرَنَّهُمْ حَوْلَ جَهَنَّمَ
جِثِيًّا ﴿٦٨﴾ ثُمَّ لَنَنزِعَنَّ مِن كُلِّ شِيعَةٍ أَيُّهُمْ أَشَدُّ عَلَى الرَّحْمَٰنِ
عِتِيًّا ﴿٦٩﴾ ثُمَّ لَنَحْنُ أَعْلَمُ بِالَّذِينَ هُمْ أَوْلَىٰ بِهَا صِلِيًّا ﴿٧٠﴾ وَإِن

---

تِمَن منجھ آهي. فَاعْبُدْهُ وَاصْطَبِرْ لِعِبَادَتِهِ پس ڪر تنهنجي عبادت ۽ پرستش. تنهنجي عبادت ڪرڻ اندر جيڪا تڪليف وٽندؤ تِن تي ڪرِ صبر هَلْ تَعْلَمُ لَهُ سَمِيًّا ڇا ڄاڻو ٿا ته ڪو هم صفت آهي. سو ڇو سوئي تنهنجو آهي ۽ ڪو نه آهي. تنهن جي ٻئي عبادت ڪرڻ جي لازم وَيَقُولُ الْإِنسَانُ أَإِذَا مَا مِتُّ لَسَوْفَ أُخْرَجُ حَيًّا ۽ ڇا ٿو اِهو انسان جيڪي ٿو پڇي، ته ڇا جڏهن آءٌ مري ويندس تڏهن قبر منجھان ٻيهر زنده ڪري ٻاهر ڪڍيو ويندس أَوَلَا يَذْكُرُ الْإِنسَانُ أَنَّا خَلَقْنَاهُ مِن قَبْلُ وَلَمْ يَكُ شَيْئًا ڇا اِهو انسان ڇو نٿو ياد ڪري ته ان کي اسان ئي پيدا ڪيو هو حالانڪه اِهو اڳ ڪجهه به ڪين هو عدم محض منجھان اسان ان کي وجود ۾ آندو، انهن مرڻ کان پوءِ ٻيهر زنده ڪرڻ ڇا عجائب آهي فَوَرَبِّكَ لَنَحْشُرَنَّهُمْ وَالشَّيَاطِينَ ثُمَّ لَنُحْضِرَنَّهُمْ حَوْلَ جَهَنَّمَ جِثِيًّا تنهنجي پروردگار جي قسم اسان کين قيامت ڏينهن پيدا ڪري، تنهن کان پوءِ سڀني کي سڀني انسانن ۽ سڀني شيطانن کي پوءِ انهن سڀني کي حاضر ڪنداسين جهنم جي چوڌاري جتي اهي سڀ گوڏن ڀر ڪريل هوندا، گوڏن ڀر هوندا. ثُمَّ لَنَنزِعَنَّ مِن كُلِّ شِيعَةٍ أَيُّهُمْ أَشَدُّ عَلَى الرَّحْمَٰنِ عِتِيًّا تنهن کان پوءِ ڪڍي الڳ ڪنداسين هر جماعت منجھان انهن ماڻهن کي جيڪي انهن مان حضرت رحمان کان وڌيڪ نافرمان ۽ سرڪش هوندا ته جيئن گوڏن ڀر انهن منجھان اسان کي ضرورت آهي تنهن متعلق تحقيقات ڪري ثُمَّ لَنَحْنُ أَعْلَمُ بِالَّذِينَ هُمْ أَوْلَىٰ بِهَا صِلِيًّا ڇا اسان کي پورو علم آهي انهن ماڻهن جو جيڪي جهنم جي واءُ لاءِ زياده سزاوار آهن وَإِن مِّنكُمْ إِلَّا وَارِدُهَا كَانَ عَلَىٰ رَبِّكَ حَتْمًا مَّقْضِيًّا ۽ ڪو به اهڙو نه آهي جو ان اندر نه اچي

مِّنْكُمْ اِلَّا وَارِدُهَا ۚ كَانَ عَلٰى رَبِّكَ حَتْمًا مَّقْضِيًّا ﴿٧١﴾ ثُمَّ نُنَجِّي الَّذِيْنَ اتَّقَوْا وَّنَذَرُ الظّٰلِمِيْنَ فِيْهَا جِثِيًّا ﴿٧٢﴾ وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ قَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا ۙ اَيُّ الْفَرِيْقَيْنِ خَيْرٌ مَّقَامًا وَّاَحْسَنُ نَدِيًّا ﴿٧٣﴾ وَكَمْ اَهْلَكْنَا قَبْلَهُمْ مِّنْ قَرْنٍ هُمْ اَحْسَنُ اَثَاثًا وَّرِءْيًا ﴿٧٤﴾ قُلْ مَنْ كَانَ فِي الضَّلٰلَةِ فَلْيَمْدُدْ لَهُ الرَّحْمٰنُ مَدًّا ۚ حَتّٰٓى اِذَا رَاَوْا مَا يُوْعَدُوْنَ اِمَّا الْعَذَابَ وَاِمَّا

---

پکھ اَمہِ جہنّمہ کنِ۔ یہِ چھُو تہندس پروردگارہ سندہ وعدہ موجُب اکھ لازم متوکد، اکھ مُعاملاہ یُس ضرور پورہ سپدِہ۔ ثُمَّ نُنَجِّي الَّذِيْنَ اتَّقَوْا توپتہ دِمَواس نجات تمن لوکن یمو پتھ رُودِ کُفرہ نِشہِ شرکہ نِشہِ وَّنَذَرُ الظّٰلِمِيْنَ فِيْهَا جِثِيًّا باقی تراووکھ اسِ تتھ جہنمس اندر ظالم یعنی کافر ہمیشہ روزنہ خیطرہ ٹُھینڈُل کَرِتھ وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ قَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَيُّ الْفَرِيْقَيْنِ خَيْرٌ مَّقَامًا وَّاَحْسَنُ نَدِيًّا بیِہِ یلہِ پرنہ یوان چھہ تمن مُنکرن برونٹھ کِنہ سانہِ ننہِ دلیلہ تہ واضح آیات وَنان چھہِ کافرِ تہ مُنکر باایمانن تہ پژھہِ والین اسہِ تہ توہہِ منز کوسہٕ جماعت چھہ بہتر جایہ کنِ بیِہ کوٗسہ جماعت چھہ رٔژ مجلسہِ کنِ۔ یہِ کتھ چھہ ظاہر کہ خانہ گی تہ مجلسی سازوسامان وغیرہ چیزن اندر چھہِ اس تھدِ تُہندِہ خوتہ۔ دوٚیمِ کتھ چھہ یہِ کہِ محبوبی چھُو کھیاونہ تہ چاونہ یوان اَمہِ منزہ چھُو ثابتِ سپدان کہ اسی چھہِ محبوب خدایس نِشہ تہ تُہہ چھِوہ مرُدود۔ اللہ تعالیٰ چھُو یہندِس ونہ نِس ردٚ کران۔ فرماوان چھُو وَكَمْ اَهْلَكْنَا قَبْلَهُمْ مِّنْ قَرْنٍ هُمْ اَحْسَنُ اَثَاثًا وَّرِءْيًا اَسہِ چھہ کاژاہ جماژ ہلاک تہ تباہ کَرِمژہ یمہِ تمن برونٹھ آسہ۔ تمہِ تہ آسہ سازوسامانہ کنِ تہ ظاہری صوٗرتہ کنِ اہندِہ خوتہ تہِ رٔژہ۔ دوٚیمُ جواب گو قُلْ مَنْ كَانَ فِي الضَّلٰلَةِ فَلْيَمْدُدْ لَهُ الرَّحْمٰنُ مَدًّا فرماویوکھ تُہہ یمِ لُوکھ گمراہی منز چھہ یعنی تُہہ ای کافِر وِپس تراوان چھُو تمن یلہِ حضرتِ رحمان پوٗرہ پاٹھِ یعنی مُہلت چھُو کھ دِوان یُتھ تمن ناوٗ برنہ ییِہ حَتّٰٓى اِذَا رَاَوْا مَا يُوْعَدُوْنَ تااینکہ یلہِ وُچھن تمِ تہِ سورُوی یمیُک تمن وَعدہ یوان چھُو تھاونہ اِمَّا الْعَذَابَ وَاِمَّا السَّاعَةَ ادہ سُو

السَّاعَةَ فَسَيَعْلَمُونَ مَنْ هُوَ شَرٌّ مَّكَانًا وَّاَضْعَفُ جُنْدًا ۝٧٥ وَيَزِيْدُ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اهْتَدَوْا هُدًى ۭ وَالْبٰقِيٰتُ الصّٰلِحٰتُ خَيْرٌ عِنْدَ رَبِّكَ ثَوَابًا وَّخَيْرٌ مَّرَدًّا ۝٧٦ اَفَرَءَيْتَ الَّذِيْ كَفَرَ بِاٰيٰتِنَا وَقَالَ لَاُوْتَيَنَّ مَالًا وَّوَلَدًا ۝٧٧ اَطَّلَعَ الْغَيْبَ اَمِ اتَّخَذَ عِنْدَ الرَّحْمٰنِ عَهْدًا ۝٧٨ كَلَّا ۭ سَنَكْتُبُ مَا يَقُوْلُ وَنَمُدُّ لَهٗ مِنَ الْعَذَابِ مَدًّا ۝٧٩ وَّنَرِثُهٗ مَا يَقُوْلُ وَيَاْتِيْنَا فَرْدًا ۝٨٠ وَاتَّخَذُوْا

---

دنیاء ک عذاب آسہِ یا قیامت آسہ فَسَيَعْلَمُونَ مَنْ هُوَ شَرٌّ مَّكَانًا وَّاَضْعَفُ جُنْدًا پَس یِگہٕ تِمن زانُن گوہ چھُو خراب تہٕ پیچھ جایہِ کِن بیہ کُہہ چھُو بالکل کمزور لشکرہ کِن تہٕ مددگار وکِن وَيَزِيْدُ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اهْتَدَوْا هُدًى بیہ چھُو ہُرہ راوان اللہ تعالیٰ سیزہ وَتہِ پیٹھ پکہ وَنین ہدایت یُس سرمایہ نجات چھُو وَالْبٰقِيٰتُ الصّٰلِحٰتُ خَيْرٌ عِنْدَ رَبِّكَ ثَوَابًا وَّخَيْرٌ مَّرَدًّا بیہِ چھہ تمہِ رٹہ کامہِ یِمہِ روزہ ونہِ چھہ بہتر تُہندس پروردگارس نِشہِ ثوابہ کِن بیہ چھہ تِہ بہتر انجامہ کِن اَفَرَءَيْتَ الَّذِيْ كَفَرَ بِاٰيٰتِنَا وَقَالَ لَاُوْتَيَنَّ مَالًا وَّوَلَدًا کیاہ توہہ وُچھوہ تس شخصہ سُند حال یِم سانین آیاتن اِنکار کور۔ وَنان چھُو سُو ٹھٹھہ پاٹھہ مہِ بیہ آخر تس منزہ تہٕ مال تہٕ اولاد عطا کرنہ۔ غرض امسنز حالت تہٕ چھہ قابلِ تعجب اَطَّلَعَ الْغَيْبَ اَمِ اتَّخَذَ عِنْدَ الرَّحْمٰنِ عَهْدًا کیاہ سَنایہِ چھا غیبس پیٹھ مطلع سپُد مُت کِنہ اُم چھُو حضرتِ رحمانس نِشہِ کانہہ عہداہ حاصِل کورمُت اتھ کتھہِ پیٹھ كَلَّا ہرگزنہ یہ چھُو محض غلط ونان سَنَكْتُبُ مَا يَقُوْلُ اس چھہِ لیکھت تھاوان امسنزہ کتھہ تِمن کُھن پیٹھ تہٕ ایس سزادِنہ۔ وَنَمُدُّ لَهٗ مِنَ الْعَذَابِ مَدًّا اس دموسیٹھاہ زِیٹھر امسندِس عذابس اندر وَّنَرِثُهٗ مَا يَقُوْلُ وَيَاْتِيْنَا فَرْدًا بیہِ چھہِ اسی وارث تہٕ مالک تمہِ سارِکی یِمیُک یہ ونان چھُو یعنی مال تہٕ اولاد۔ سُو واتہِ اَسہِ نِشہِ کُنوی زون۔ نہ آسیس مالی سیت نہ آسِنس اولادی سیت وَاتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ اٰلِهَةً لِّيَكُوْنُوْا لَهُمْ عِزًّا بیہِ چھہ یِمو مُشرکو خدا ایس ورای معبود مقرر کرِمت یُتھ تِمِ بنِن تِہند حامی تہٕ مددگار كَلَّا تہٕ ہرگز بنہ نہ سَيَكْفُرُوْنَ بِعِبَادَتِهِمْ

مِنْ دُونِ اللّٰهِ اٰلِهَةً لِّيَكُوْنُوْا لَهُمْ عِزًّا ﴿٨١﴾ كَلَّا ؕ سَيَكْفُرُوْنَ
بِعِبَادَتِهِمْ وَيَكُوْنُوْنَ عَلَيْهِمْ ضِدًّا ﴿٨٢﴾ اَلَمْ تَرَ اَنَّآ اَرْسَلْنَا الشَّيٰطِيْنَ
عَلَى الْكٰفِرِيْنَ تَؤُزُّهُمْ اَزًّا ﴿٨٣﴾ فَلَا تَعْجَلْ عَلَيْهِمْ ؕ اِنَّمَا نَعُدُّ لَهُمْ عَدًّا ﴿٨٤﴾
يَوْمَ نَحْشُرُ الْمُتَّقِيْنَ اِلَى الرَّحْمٰنِ وَفْدًا ﴿٨٥﴾ وَّنَسُوْقُ الْمُجْرِمِيْنَ
اِلٰى جَهَنَّمَ وِرْدًا ﴿٨٦﴾ لَا يَمْلِكُوْنَ الشَّفَاعَةَ اِلَّا مَنِ اتَّخَذَ عِنْدَ
الرَّحْمٰنِ عَهْدًا ﴿٨٧﴾ وَقَالُوا اتَّخَذَ الرَّحْمٰنُ وَلَدًا ﴿٨٨﴾ لَقَدْ جِئْتُمْ شَيْئًا

---

وَيَكُوْنُوْنَ عَلَيْهِمْ ضِدًّا بلکہ کرن تمِ ضرور اِنکار تهنجِہ پرستش بيہ آسَن تمِ تهندِ مخالِف ته دُشمن۔ تُهه چهوِ کافرن هنزِہ گمراهی پيٹه غمگين سپدان۔ اَلَمْ تَرَ اَنَّآ اَرْسَلْنَا الشَّيٰطِيْنَ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ تَؤُزُّهُمْ اَزًّا کياه توهِ چهُنا معلُوم کہ اَسہِ چهہ هئر ووُمُت شيطان کافرن پيٹه تمِ تمن کفر و گُمراهی ته نافرمانئن پيٹه آماده کران چهِ، تُلان چهِ، يُس پائے دشمن بد خواهہ سندِ وننہ موجُب پچهِ تسُند شوبيا غم کهيون فَلَا تَعْجَلْ عَلَيْهِمْ اِنَّمَا نَعُدُّ لَهُمْ عَدًّا پس مہ کرِ وُتهہ درخواست تهندِ بجلدی عذابس گرفتار سپدنہ خيطره، اس چهِ تهنزِ گَتهہ تمن گتهن پيٹه تمن عذاب ييہِ کرنہ پانہ گنز راوان۔ سُو عذاب ييہِ کرنہ تمن تمہِ دوهہ يَوْمَ نَحْشُرُ الْمُتَّقِيْنَ اِلَى الرَّحْمٰنِ وَفْدًا تمہِ دوهہ اس مُتقی تہ پرهيزگار مهمانن هند پاٹهِ جمع کرو کهٕ عزتہ سان، حضرت رحمانہ سندِ س مهمان خانس اندر جماژو جماژو وَّنَسُوْقُ الْمُجْرِمِيْنَ اِلٰى جَهَنَّمَ وِرْدًا بيہ تمہِ دوهہ پکناوو کهٕ بکمال خواری اسِ نافرمان جهنمس کُن تريشہِ تريشہِ کران۔ لَا يَمْلِكُوْنَ الشَّفَاعَةَ اِلَّا مَنِ اتَّخَذَ عِنْدَ الرَّحْمٰنِ عَهْدًا اختيار آسہِ نہ کانسہِ اکس شفاعت تہ سفارش کرنُک مگر تس تمِ حضرت رحمانس نِش کانہہ عُهد اہ تہ اجازت حاصِل آسہِ کورمُت وَقَالُوا اتَّخَذَ الرَّحْمٰنُ وَلَدًا بيہ چهہِ تمِ کافر ونان حضرتِ رحمانس چهِ اولاد۔ نصاریٰ چهِ ونان عيسیٰ عليہ السلامس، يهود چهہ ونان عزير عليہ السلامس، مُشرکينِ عرب چهِ ونان ملائکن، تمِ چهِ خدايہ سندِ نچو تہ کوره لَقَدْ جِئْتُمْ شَيْئًا اِدًّا

إِدًّا ﴿٨٩﴾ تَكَادُ السَّمٰوٰتُ يَتَفَطَّرْنَ مِنْهُ وَتَنْشَقُّ الْأَرْضُ وَتَخِرُّ الْجِبَالُ
هَدًّا ﴿٩٠﴾ أَنْ دَعَوْا لِلرَّحْمٰنِ وَلَدًا ﴿٩١﴾ وَمَا يَنْبَغِي لِلرَّحْمٰنِ أَنْ يَتَّخِذَ وَلَدًا ﴿٩٢﴾
إِنْ كُلُّ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ إِلَّا اٰتِي الرَّحْمٰنِ عَبْدًا ﴿٩٣﴾ لَقَدْ
أَحْصٰهُمْ وَعَدَّهُمْ عَدًّا ﴿٩٤﴾ وَكُلُّهُمْ اٰتِيْهِ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فَرْدًا ﴿٩٥﴾
إِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ سَيَجْعَلُ لَهُمُ الرَّحْمٰنُ
وُدًّا ﴿٩٦﴾ فَإِنَّمَا يَسَّرْنٰهُ بِلِسَانِكَ لِتُبَشِّرَ بِهِ الْمُتَّقِيْنَ وَتُنْذِرَ

---

پٔز پاٹھِ تُہہ آوہ کتھاہ ہیتھ سیٹھاہ مُشکل تَكَادُ السَّمٰوٰتُ يَتَفَطَّرْنَ مِنْهُ وَتَنْشَقُّ الْأَرْضُ وَتَخِرُّ الْجِبَالُ هَدًّا یہ چھہ تِرٛشہ مُشکل کتھاہ کہ قریب چھُو آسمانن ماگرٛشھن امہِ کتھہِ سیتِ چھلہ، بیہِ ماپھٹہِ زمین، بیہ ماپین وَستھ کوہ سُور گرٛشِ ھتھ أَنْ دَعَوْا لِلرَّحْمٰنِ وَلَدًا اتھ کتھ پیٹھ کہِ لُوکو ٹھہراوِ حضرتِ رحمانس اَولاد وَمَا يَنْبَغِي لِلرَّحْمٰنِ أَنْ يَتَّخِذَ وَلَدًا ہرگزِ چھُونہ سزاوار حضرتِ رحمانس لَس کیا آسَن اولاد إِنْ كُلُّ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ إِلَّا اٰتِي الرَّحْمٰنِ عَبْدًا کیازِہ چھُونہ کانٛہہ آسمانن تہٕ زمینن اندر یُس نہ حضرتِ رحمانس برو نٹھکن غلام بٔنتھ حاضر سپدان چھُو لَقَدْ أَحْصٰهُمْ وَعَدَّهُمْ عَدًّا بیشک تمِ چھُو سارنی بندن پننہِ قدرتہ سیتِ احاطہ کورمُت، بیہِ چھِن ساری گنزرِتھ تھاوٕمت یہ گو دنیاءس اندر وَكُلُّهُمْ اٰتِيْهِ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فَرْدًا بیہِ واتن قیامتک دوہ تمِ ساری لَس برو نٹھکن اکہِ اکہِ۔ کُنوی زُن کانٛہہ تہٕ سیتِ آسیسنہ۔ إِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ سَيَجْعَلُ لَهُمُ الرَّحْمٰنُ وُدًّا پٔز پاٹھِ یمو ایمان اُون بیہِ کریکھ رٕژہ عملہ، ضرور کرِہ اللہ تعالیٰ ضروری نعمتو علاوہ دنیاءس اندر تہنٛد محبت پیدہ لُوکن ہندین دِلَن اَندر۔ تُہہ فرماوِو تمن بشارت اَچھِ فَإِنَّمَا يَسَّرْنٰهُ بِلِسَانِكَ لِتُبَشِّرَ بِهِ الْمُتَّقِيْنَ وَتُنْذِرَ بِهِ قَوْمًا لُّدًّا اَسہِ کورنہ سہل تہٕ آسان یہ قرآن مجید تہنزہ زیوِہ یعنی عربی پاٹھِ مگر کوریمی مُوکھ یُتھ تُہہ بشارت فرماوِو شانتین تہٕ پرہیزگارن بیہِ یُتھ تُہہ بیم کرِو، کھوژہ ناویون اَمہ (قرآن مجید) سیت ۂرل قوم وَكَمْ

بِهٖ قَوْمًا لُّدًّا ﴿٩٧﴾ وَكَمْ اَهْلَكْنَا قَبْلَهُمْ مِّنْ قَرْنٍ ؕ هَلْ تُحِسُّ مِنْهُمْ مِّنْ اَحَدٍ اَوْ تَسْمَعُ لَهُمْ رِكْزًا ﴿٩٨﴾ ع

---

اَهْلَكْنَا قَبْلَهُمْ مِّنْ قَرْنٍ هَلْ تُحِسُّ مِنْهُمْ مِّنْ اَحَدٍ اَوْ تَسْمَعُ لَهُمْ رِكْزًا بیہِ کاژاہ جماژ نافرمانن ہنزہ کرہِ اَسہِ ہلاک تہٕ تباہ ازِ کین نافرمانن برونٹھ۔ تُہہ چھِونہٕ لَبان تموٗ اندرہ کانژھاہ یا چھِوہ بُوزان تہندِہ لُوتہٕ لوتہٕ پِچھ آوازاہ تُہند نام و نِشان تھوونہٕ اَسہِ کُنہِ۔ یَتھے پاٹھ تِم تہنز مخالفت کرَن تِمن تہٕ بنہِ تہنزی باشِ۔ خوش رُوزِو۔





# سُوْرَةُ طٰهٰ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

طٰهٰ ① مَآ اَنْزَلْنَا عَلَيْكَ الْقُرْاٰنَ لِتَشْقٰٓى ② اِلَّا تَذْكِرَةً لِّمَنْ يَّخْشٰى ③ تَنْزِيْلًا مِّمَّنْ خَلَقَ الْاَرْضَ وَالسَّمٰوٰتِ الْعُلٰى ④ اَلرَّحْمٰنُ عَلَى الْعَرْشِ اسْتَوٰى ⑤ لَهٗ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَمَا فِى الْاَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا وَمَا تَحْتَ الثَّرٰى ⑥ وَاِنْ تَجْهَرْ بِالْقَوْلِ فَاِنَّهٗ يَعْلَمُ السِّرَّ وَاَخْفٰى ⑦ اَللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۭ لَهُ الْاَسْمَآءُ

---

طٰهٰ یم چھِ حُروف مُقطعا تو اَندرہ یمن ہُند معنی زانہٕ پانہٕ خُدا مَآ اَنْزَلْنَا عَلَيْكَ الْقُرْاٰنَ لِتَشْقٰٓى اَسہِ کورنہٕ نازِل توہہِ پیٹھ یہِ قرآن مجید یُتھ تُہہ پانس تکلیف تہٕ محنت واتناوِو اِلَّا تَذْكِرَةً لِّمَنْ يَّخْشٰى بلکہٕ کور نازِل تَس شخصہٕ سندِہ نصیحتہٕ خیطرہ یُس کھوژان آسہٕ تَنْزِيْلًا مِّمَّنْ خَلَقَ الْاَرْضَ وَالسَّمٰوٰتِ الْعُلٰى یہِ قرآن مجید چھُ نازِل کرنہٕ آمُت تَس خدایہِ سندِہ طرفہٕ یم زمین تہٕ تھدِ آسمان پیدہ کٔرمتِ چھِہ اَلرَّحْمٰنُ عَلَى الْعَرْشِ اسْتَوٰى یمسُند اکھ ناو چھُ رحمٰن۔ یُس عرشس پیٹھ قائم چھُ۔ لَهٗ مَا فِى السَّمٰوٰتِ وَ مَا فِى الْاَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا وَمَا تَحْتَ الثَّرٰى تُہندی چھُ تہِ سورُوی یہِ آسمانن تہٕ زمین منز چھُ۔ بیہِ تہٕ سورُوی یہِ یمن دون منز باگ چھُ۔ بیہِ یہِ زمینہٕ تل چھُ وَاِنْ تَجْهَرْ بِالْقَوْلِ فَاِنَّهٗ يَعْلَمُ السِّرَّ وَاَخْفٰى تہندِہ علمچ کیفیت چھِہ یہِ کہ ہرگاہ ژٕہ اَے مُخاطِب بڈِہ کٔتھ کرکھ تہِ چھُنہٕ گٔتھی، سُو چھُ لوت لوت کتھہ تہِ بوزان۔ بیہِ لوتہِ خوتہٕ لُوت کٔتھہ تہِ بوزان، یُوسہٕ وَنہِ دِلہٕ سی منز آسہِ۔ اَللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ لَهُ الْاَسْمَآءُ الْحُسْنٰى سُو چھُ سُو معبُودِ برحق، کانہہ معبود اہ چھُنہٕ تٔسِ ورای، تَس چھِہ رتِ نامِ پاک یمِ تہندین صِفاتن تہٕ کمالاتن پیٹھ دلالت چھِہ کران۔ تمی ذات مستجمع الصفاتن کور نازِل یہِ قرآنِ مجید

الْحُسْنٰى ﴿٨﴾ وَهَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ مُوْسٰى ﴿٩﴾ اِذْ رَاٰ نَارًا فَقَالَ لِاَهْلِهِ امْكُثُوْٓا اِنِّيْٓ اٰنَسْتُ نَارًا لَّعَلِّيْٓ اٰتِيْكُمْ مِّنْهَا بِقَبَسٍ اَوْ اَجِدُ عَلَى النَّارِ هُدًى ﴿١٠﴾ فَلَمَّآ اَتٰىهَا نُوْدِيَ يٰمُوْسٰى ﴿١١﴾ اِنِّيْٓ اَنَا رَبُّكَ فَاخْلَعْ نَعْلَيْكَ ۚ اِنَّكَ بِالْوَادِ الْمُقَدَّسِ طُوًى ﴿١٢﴾ وَاَنَا اخْتَرْتُكَ فَاسْتَمِعْ لِمَا يُوْحٰى ﴿١٣﴾ اِنَّنِيْٓ اَنَا اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنَا فَاعْبُدْنِيْ ۙ وَاَقِمِ الصَّلٰوةَ لِذِكْرِيْ ﴿١٤﴾ اِنَّ السَّاعَةَ اٰتِيَةٌ

---

**وَهَلْ اَتٰىكَ حَدِيْثُ مُوْسٰى** بیہ چھا توہہ ای محمد واڑ مُوسیٰ علیہ السلام سنِدہ قصّے خبر۔ سُو قصّہ چھو بوزنس لایق۔ تتھ منز چھہِ توحیدس مُتعلّق علوم، تِمن ہُند تبلیغ کرُن نفع دِوہ ڈون چھوِیُس یتھ پاٹھ واقع سپُد مُت چھو **اِذْ رَاٰ نَارًا فَقَالَ لِاَهْلِهِ امْكُثُوْٓا اِنِّيْٓ اٰنَسْتُ نَارًا لَّعَلِّيْٓ اٰتِيْكُمْ مِّنْهَا بِقَبَسٍ اَوْ اَجِدُ عَلَى النَّارِ هُدًى** یلہِ تِموِ ڈچھہ دُورِہ اکھ ناراہ یلہِ تم شہر مدینس نِشہِ واپس یوان آسِ وَتہِ لجھ راتھ بیہِ لجھ سَردی پَس دوبچھ عیَالس پنہ نِس تُہہ ٹھہرِ دیتہِ تھی۔ مہِ آولبنہ ناراہ یُس نوراوس مگر شکل آسس نارِچ۔ بوگژھہ تتھ جایہ دیوہ بوتورہ انہ تمہِ نارہ منزہ تہندِہ خیطرہ تنگلہ یتھ سردی ہُند علاج سپدِہ یالبہ بو نارچہِ جایہ پیٹھ کانہہ وتہ ہاوکھاہ **فَلَمَّآ اَتٰىهَا نُوْدِيَ يٰمُوْسٰى** ادہ یلہِ سُو تتھ نارس نکھ ڈوت، آواز گیس خدایہ سنِدہ طرفہ ای مُوسیٰ **اِنِّيْٓ اَنَا رَبُّكَ** نار چھُنہ یار چھو۔ بیشک بُو چھوس پروردگار چون **فَاخْلَعْ نَعْلَيْكَ اِنَّكَ بِالْوَادِ الْمُقَدَّسِ طُوًى** پس کڈِو کھوروأندرہ نعلین پنِ کیازِہ تُہہ چھوِہ پاک میدانس اندر یتھ ناو چھو طوی۔ نعلین تہنز چھنہ پاک سو چھہ مستعمل۔ کھوربانہ اگر پاک آسہِ تمہِ سان نماز پرنِ چھہ جائز مگر ہرگاہ مستعمل تہ ناپاک آسہِ تیلہِ چھنہ تمہِ سان نماز جائز۔ **وَاَنَا اخْتَرْتُكَ فَاسْتَمِعْ لِمَا يُوْحٰى** مہِ کرِ موہ تُہہ باقی لُوکو اندرہ پیغمبری خیطرہ مُنتخب۔ پس بوزِ ووارہ تم احکام یم توہہِ کُن سوزنہ یِن **اِنَّنِيْٓ اَنَا اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنَا فَاعْبُدْنِيْ وَاَقِمِ الصَّلٰوةَ لِذِكْرِيْ** بیشک بُوی چھوس معبُودِ برحق۔ کانہہ معبُوداہ چھونہ مہِ ورای۔ پس کرِو میانی یاژ پرستش۔ بیہِ تھاوِو نماز برپا میانہِ یادہ خیطرہ۔

## سُوْرَةُ الْأَنْبِيَاءِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ۝

اِقْتَرَبَ لِلنَّاسِ حِسَابُهُمْ وَهُمْ فِیْ غَفْلَةٍ مُّعْرِضُوْنَ ۝١ مَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ ذِكْرٍ مِّنْ رَّبِّهِمْ مُّحْدَثٍ اِلَّا اسْتَمَعُوْهُ وَهُمْ يَلْعَبُوْنَ ۝٢ لَاهِيَةً قُلُوْبُهُمْ ؕ وَاَسَرُّوا النَّجْوَى ۖ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا ۖ هَلْ هٰذَآ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ ۚ اَفَتَاْتُوْنَ السِّحْرَ وَاَنْتُمْ تُبْصِرُوْنَ ۝٣ قٰلَ رَبِّیْ يَعْلَمُ الْقَوْلَ فِی السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ ۫ وَهُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ۝٤

---

اِقْتَرَبَ لِلنَّاسِ حِسَابُهُمْ وَهُمْ فِیْ غَفْلَةٍ مُّعْرِضُوْنَ نزدیک سپدٕ یمن منکر لوکن ہندِہ حسابُک وقت۔ کیازِہ قیامت چھہٕ روز بروز نزدیک یوان مگر تمِ چھہِ ونہِ بے خبری تہ غفلتس اندر پیٹھ اعراض کران تہ بُتھ پھران تہنز غفلت چھہٕ یُوتِ واژمژ مَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ ذِكْرٍ مِّنْ رَّبِّهِمْ مُّحْدَثٍ اِلَّا اسْتَمَعُوْهُ وَهُمْ يَلْعَبُوْنَ کہِ یُوسہ نصیحتاہ تازہ تِمن نشہِ پنہ ِنس پروردگارہ سندِہ طرفہ واتان چھہٕ تتھ چھہِ تِم تتھ پاٹھِ بوزان کہ زَن گِندنہ ہَنا چھہٕ لَاهِيَةً قُلُوْبُهُمْ غافل چھہِ تہند دِل تِمہِ نصیحتہِ نشہِ تتھ کُن چھنہ کانہہ توجہّ کران وَاَسَرُّوا النَّجْوَى الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا هَلْ هٰذَآ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ لوتہ لوتہ چھہِ تِم ظالِم تہ کافِر لوکھ کتھِ کتھہ کران پانہ وانِ۔ دپان چھہِ یہِ (حضرت) محمد چھُو محض تۄہی ہیواکھ اِنساناہ بیہ نہ کینہہ۔ ووٚن یمہ کتھ تِم بیان کران چھہِ، تمہِ چھہٕ سحر تہ جود۔ تمہِ اندرہ کٔرزو نہ تُہہ مُعجزہ آسنک خیال۔ مُعجزہ آسنکُ خیال کٔرِت کٔرزو نہ تُہہ تہندِہ پیغمبر آسنُک خیال اَفَتَاْتُوْنَ السِّحْرَ وَاَنْتُمْ تُبْصِرُوْنَ ادہ کیازِہ چھوہ اچھن ڈیشمان توہہِ سُو سحر بُوزنہ خیطرہ تِمن نشہِ یوان، پنُن پان زورہ گرفتار کرنہ خیطرہ قٰلَ رَبِّیْ يَعْلَمُ الْقَوْلَ فِی السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ وَهُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ فرموو کھ پیغمبر برحقن، تُہہ کٔر تو ژۄرِہ ژۄرِہ کتھِ کتھ۔ میون پروردگار چھُو زانان

بَلْ قَالُوْٓا اَضْغَاثُ اَحْلَامٍۢ بَلِ افْتَرٰىهُ بَلْ هُوَ شَاعِرٌ ۚۖ فَلْيَاْتِنَا
بِاٰيَةٍ كَمَآ اُرْسِلَ الْاَوَّلُوْنَ ۝٥ مَآ اٰمَنَتْ قَبْلَهُمْ مِّنْ قَرْيَةٍ اَهْلَكْنٰهَا ۚ
اَفَهُمْ يُؤْمِنُوْنَ ۝٦ وَمَآ اَرْسَلْنَا قَبْلَكَ اِلَّا رِجَالًا نُّوْحِيْٓ اِلَيْهِمْ
فَسْـَٔلُوْٓا اَهْلَ الذِّكْرِ اِنْ كُنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ ۝٧ وَمَا جَعَلْنٰهُمْ
جَسَدًا لَّا يَاْكُلُوْنَ الطَّعَامَ وَمَا كَانُوْا خٰلِدِيْنَ ۝٨ ثُمَّ صَدَقْنٰهُمُ

---

پریتھ کتھ۔ ادہ سۄ آسمانن منز آستن یا زمینن منز، ادہ سو ظاہر آستن یا پوٗشیدہ۔ بیہ چھُو سو رُوی وارہ بُوزہ وُن۔ سو رُوی پُور زانہ وُن۔ تہنز کتھ چھنہ تَس نِش کھٹِتھ سُو دِیہ توہہِ پُور سزا۔ تِمو کافرو ون نہ قرآن مجیدس سحری بُوت بَلْ قَالُوْٓا اَضْغَاثُ اَحْلَامٍ بلکہ لگِ تِم وننہِ کہِ یہِ قرآن مجید چھُو پریشان خیالات بَلِ افْتَرٰىهُ بلکہ چھُو یہِ قرآن مجید تِمو پانے پننہِ دِلہ ڈُھرووُمت بَلْ هُوَ شَاعِرٌ بلکہِ چھُو یہِ پیغمبر شاعر۔ ہرگاہ سُو واقعی پیغمبر چھُو فَلْيَاْتِنَا بِاٰيَةٍ كَمَآ اُرْسِلَ الْاَوَّلُوْنَ تیلہ اَنِن سُو اَسہِ نِشہِ تِم مُعجزہ یِم مُعجزہ ہیتھ بُرونٹھم پیغمبر چھہِ سوزنہ آمتِ۔ یہِ آس حیرانی یِمن کافرن پانس کہِ اکس رایہ پیٹھ آسِ نہ روزان۔ مَآ اٰمَنَتْ قَبْلَهُمْ مِّنْ قَرْيَةٍ اَهْلَكْنٰهَا اَفَهُمْ يُؤْمِنُوْنَ یِمو برونٹھ کُنہِ شہرک روزن وال یِم اَسہِ ہلاک کَرِ تہ گالِ باوجود فرمائشی مُعجزات آسنہِ اون نہ تِمو ایمان، کیا یِم لُوکھ اننہ مُعجزات ظاہر سپدِ تھ ایمان۔ یتھس حالس پیٹھ چھُو ایمان نہ اننہ مُوکھ ضرور عذاب نازِل سپدان۔ لہٰذا چھنہِ اَسِ تِم معجزات ظاہر کران یِمن ہنز فرمائش یِم کران چھہِ۔ قرآن مجید چھُو سارووے مُعجزو کھسِت بُوڈ مُعجزہ۔ سُوی چھُو کافی وَمَآ اَرْسَلْنَا قَبْلَكَ اِلَّا رِجَالًا نُّوْحِيْٓ اِلَيْهِمْ فَسْـَٔلُوْٓا اَهْلَ الذِّكْرِ اِنْ كُنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ بیہ سوزنہ اَسہِ توہہِ برونٹھ کانہہ پیغمبراہ مگر سوزمردانسانو تہ بشروی اندرہ۔ تِمنی کُن آس اَسِ وحی سوزان۔ پَس پرٛژھتو تُہہ اہلِ کتابن، یہود و نصاریٰ اَن یِمن تُہہ پننِ دوست چھوِہ ونان ہرگاہ نَے توہہِ پانس خبر چھوہ۔ وَمَا جَعَلْنٰهُمْ جَسَدًا لَّا يَاْكُلُوْنَ الطَّعَامَ بیہ بناونہ اسہِ تِمن پیغمبرن ہند بدن تِتھ یِم نہ خوراک تہ غذا کھیوان آسہن ملائکن ہند پاٹھِ۔ بیہ چھہِ یِم کافر مُنظر تہندس یِمہِ عالمہ گژھنس، تتھ پیٹھ چھہِ تِم خوشیہ

الْوَعْدَ فَأَنْجَيْنٰهُمْ وَمَنْ نَّشَآءُ وَأَهْلَكْنَا الْمُسْرِفِيْنَ ﴿٩﴾ لَقَدْ أَنْزَلْنَآ إِلَيْكُمْ كِتٰبًا فِيْهِ ذِكْرُكُمْ ۖ أَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿١٠﴾ وَكَمْ قَصَمْنَا مِنْ قَرْيَةٍ كَانَتْ ظَالِمَةً وَّأَنْشَأْنَا بَعْدَهَا قَوْمًا اٰخَرِيْنَ ﴿١١﴾ فَلَمَّآ أَحَسُّوْا بَأْسَنَآ إِذَا هُمْ مِّنْهَا يَرْكُضُوْنَ ﴿١٢﴾ لَا تَرْكُضُوْا وَارْجِعُوْآ إِلٰى مَآ أُتْرِفْتُمْ فِيْهِ وَمَسٰكِنِكُمْ لَعَلَّكُمْ تُسْئَلُوْنَ ﴿١٣﴾

---

تہ شادِہ کران۔ یہِ یمہِ عالمہ گژھُن چھُنہ نبوتس منافی تہ خِلاف۔ کیازہ وَمَا كَانُوْا خٰلِدِيْنَ تمِ برو ٹھم حضرات انبیاء رُودنہ ہمیشہ دنیاء سی اندر۔ پَس ہر گاہ تِھند وفات سپدِہ تمہِ سیت کیاہ نقص لیہِ لازِم تِھندِس نبوتس ثُمَّ صَدَقْنٰهُمُ الْوَعْدَ فَأَنْجَيْنٰهُمْ وَمَنْ نَّشَآءُ وَأَهْلَكْنَا الْمُسْرِفِيْنَ تو پتہ کور اَسہِ وعدہ پُرٛن تمن مُنکرن سیتِ پوز۔ یعنی نافرمانن پیٹھ عذاب نازِل کرنس مُتعلق۔ تمِ سپدِ عذابس گرفتار پَس دُیت نجات اسہِ تمن باایمانن، بیہِ تمن ہُند اسہ یوژھہ بیہِ کٔرِ اسہِ ہلاک نافرمانی منز حدہ ڈلہ ون، لہذا گژھہ کھوژُن تمن کافرن ہُند۔ ای منکرو ہرگاہ توہہِ پیٹھ دنیاءس منز یا آخرتس منز عذاب کرنہ ایہِ کانہہ تعجب چھنہ کیازہ لَقَدْ أَنْزَلْنَآ إِلَيْكُمْ كِتٰبًا فِيْهِ ذِكْرُكُمْ أَفَلَا تَعْقِلُوْنَ پٔزپاٹھ نازِل کٔر اسہِ توہہِ کُن سُہ کتاب یتھ منز توہہِ کٕرٛ کافی نصیحت چھ۔ کیاہ تو تہ چھُنہ توہہِ فکرِہ تران وَكَمْ قَصَمْنَا مِنْ قَرْيَةٍ كَانَتْ ظَالِمَةً وَّأَنْشَأْنَا بَعْدَهَا قَوْمًا اٰخَرِيْنَ بیہِ چھِہ اسہِ کَتہن شہرن ہندِ لُوکھ یمِ ظالِم یعنی کافِر آسِ ہلاک تہ تباہ کرمَت تو پتہ کور پیدہ تمن پتہ بیاکھ قوماہ یمِ تمن شہرن اندر آباد کٔر فَلَمَّآ أَحَسُّوْا بَأْسَنَآ إِذَا هُمْ مِّنْهَا يَرْكُضُوْنَ ادہ یلہ تمو ژیون سانہ عذابچہ نازل سپدِ نگ۔ اتی ہیژو کھ ژلُن، اسہِ دوپچھ لَا تَرْكُضُوْا وَارْجِعُوْآ إِلٰى مَآ أُتْرِفْتُمْ فِيْهِ وَمَسٰكِنِكُمْ لَعَلَّكُمْ تُسْئَلُوْنَ ژلِو مہ، واپَس اِیو تتھ سازو سامانس کُن یتھ منز روزِت عیش آسِوہ کران۔ بیہِ اِیو پتہ نین گرن کُن واپس دیو توہہِ پرٛژھنہ ایہِ کہ مال و دولتک تہ قوتک نَشہ کوت گو۔ اَمہِ اَندرہ چھُو مُراد تمن ژینہ ونِ دِن کہ نہ رُودوہ توہہِ سامانہ کُنہِ نہ روزوہ تمہِ لرِہ جایہِ کُنہِ۔ نہ رُودوہ کانہہ ہمدردکُنہِ ساری گے ختم قَالُوْا يٰوَيْلَنَآ إِنَّا كُنَّا ظٰلِمِيْنَ یلہِ عذابس گرفتار۔ تنِ سپدن تمِ

قَالُوْا يٰوَيْلَنَآ اِنَّا كُنَّا ظٰلِمِيْنَ ﴿١٤﴾ فَمَا زَالَتْ تِّلْكَ دَعْوٰىهُمْ حَتّٰى جَعَلْنٰهُمْ حَصِيْدًا خٰمِدِيْنَ ﴿١٥﴾ وَمَا خَلَقْنَا السَّمَآءَ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَا لٰعِبِيْنَ ﴿١٦﴾ لَوْ اَرَدْنَآ اَنْ نَّتَّخِذَ لَهْوًا لَّاتَّخَذْنٰهُ مِنْ لَّدُنَّآ ۖ اِنْ كُنَّا فٰعِلِيْنَ ﴿١٧﴾ بَلْ نَقْذِفُ بِالْحَقِّ عَلَى الْبَاطِلِ فَيَدْمَغُهٗ فَاِذَا هُوَ زَاهِقٌ ؕ وَلَكُمُ الْوَيْلُ مِمَّا تَصِفُوْنَ ﴿١٨﴾

---

دِپنہٕ لگٕ افسوس واقعی آسٕ اَسِ ظالم۔ فَمَا زَالَتْ تِّلْكَ دَعْوٰىهُمْ حَتّٰى جَعَلْنٰهُمْ حَصِيْدًا خٰمِدِيْنَ پٔس روزہ تِمن ہنزٕ یۍ کریکہ توتان، یُوت تانِ اَسہِ تِم کٹراوِ تھ تھاوِ، شہلاو تھ تھاوِ وَمَا خَلَقْنَا السَّمَآءَ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَا لٰعِبِيْنَ سانٕس کُن آسٕنس پیٹھ چھِ سانِ مصنُوعات تہٕ مخلوقات دلالت کران کیازِ اسہِ کٔر نہٕ آسمان تہٕ زمین بیہ یہ تِمن دون منز چھُو پیدہٕ گندان حکمتو تہٕ مصلحتوو رای۔ اَسہِ کٔر نہٕ یِم یِتھ پاٹھِ پیدہٕ کہ اَسِ کیا آسہو عبث تہٕ بے معنی اکھ کاماہ کران۔ بلکہ چھِ یہ پیدہٕ کرنٕس اندر رچہٕ رچہٕ حکمژٕ۔ بٔڈ حکمت گٔیہِ یہِ یہ کہ یِم چھِ دلالت کران معبود برحقہ سندِس وحدانیتس پیٹھ۔ لَوْ اَرَدْنَآ اَنْ نَّتَّخِذَ لَهْوًا لَّاتَّخَذْنٰهُ مِنْ لَّدُنَّآ اِنْ كُنَّا فٰعِلِيْنَ پیدہٕ کرنٕس اندر رٕے کُنہی مُصلحت آسہانہ بلکہ آسہا اکھ مشغلہ بناوُن اسہِ مُراد یِتھ منزٕ نہ کانہہ رُت فائدہ آسہا تیلہ بناوہ ہوٚ اَسِ پننہِ نٔس کُنہِ چیزٕس پٔنن مشغلہ۔ مثلاً پننہ نین کمالہ کین صفاتن ہندِس مشاہدٕس بناوہ ہوٚ اَسِ مشغلہ۔ کیازِہ مشغلٕس گژھہِ شاغلہ سندِس ذاتس سیتِ مناسبتھاہ آسٕن۔ حضرتِ واجب الوجودس کیاہ مناسبت چھِ مصنوعات حادثٕن سیت۔ صفات قدیمہ باوجودیکہِ تِم چھِ لازم تِمن تہٕ چھنہٕ مناسبت تِم کیا ہیکن مشغلہ بنِتھ۔ وُٚن چھنہٕ کتھے مصنوعات حادثٕن ہنزٕ تِم کیاہ ہیکن بنِتھ مشغلہ باری تعالیٰ۔ لہٰذا اسپُد ثابت کہ آسمان وزمین اسہِ بےہُودہ تہٕ عبث پیدہٕ کٔر نہٕ۔ بلکہ کٔرِ پیدہٕ اثبات حق تہٕ ابطال باطلہ خٲطرٕ بَلْ نَقْذِفُ بِالْحَقِّ عَلَى الْبَاطِلِ فَيَدْمَغُهٗ فَاِذَا هُوَ زَاهِقٌ بلکہ چھُو سون ارادہ یہِ تمام کائنات پیدہٕ کرنہٕ اَندر حق و باطلُک مقابلہ کرُن۔ چنانچہ اَسِ چھِن پیرٕ کتھ یِتھ پیٹھ مصنوعات دلالت چھِ کران اپزٕس پیٹھ برتھ دِوان تہٕ غالب کران۔

وَلَهٗ مَنۡ فِی السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ ؕ وَمَنۡ عِنۡدَهٗ لَا یَسۡتَکۡبِرُوۡنَ عَنۡ عِبَادَتِهٖ وَلَا یَسۡتَحۡسِرُوۡنَ ۚ﴿۱۹﴾ یُسَبِّحُوۡنَ الَّیۡلَ وَالنَّهَارَ لَا یَفۡتُرُوۡنَ ﴿۲۰﴾ اَمِ اتَّخَذُوۡۤا اٰلِهَةً مِّنَ الۡاَرۡضِ هُمۡ یُنۡشِرُوۡنَ ﴿۲۱﴾ لَوۡ کَانَ فِیۡهِمَاۤ اٰلِهَةٌ اِلَّا اللّٰهُ لَفَسَدَتَا ۚ فَسُبۡحٰنَ اللّٰهِ رَبِّ

---

پُس چھُو سُو پوز تتھ اَپزِس کاڑ کڈان اتی چھُو سُو اپزِ گلان، ختم گژھان وَلَکُمُ الۡوَیۡلُ مِمَّا تَصِفُوۡنَ تُہندہ خیطرہ چھُو ویل تہٕ افسوس بیہِ سیٹھاہ خرابی۔ ای مکہ کیو کافرو، تمو کتھو سبب یمہِ تُہہ ونان چھُوہ معبود برحقس نسبت۔ معبود برحقہ سُند شان چھُو سیٹھاہ تھود وَلَهٗ مَنۡ فِی السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ حالانکہِ یم آسمانن تہٕ زمین اندر چھہِ تم چھہِ تہندی مملوک۔ وَمَنۡ عِنۡدَهٗ لَا یَسۡتَکۡبِرُوۡنَ عَنۡ عِبَادَتِهٖ وَلَا یَسۡتَحۡسِرُوۡنَ تموأندرہ یم تَس نزدیک چھہِ یَعنی مُقربانِ الٰہی تم چھنہِ تکبّر تہٕ عار کران تہندِہ عبادتہ نِشہِ، نہ چھہِ تمِ عبادت کران کران تھکان زانہہ یُسَبِّحُوۡنَ الَّیۡلَ وَالنَّهَارَ لَا یَفۡتُرُوۡنَ بلکہ چھہِ راتس تہٕ دوہس تسبیح پران آسان، تراوان چھنہِ سو کام اَمِ اتَّخَذُوۡۤا اٰلِهَةً مِّنَ الۡاَرۡضِ هُمۡ یُنۡشِرُوۡنَ توحید چہ ایژہ دِلیلہ بُوزِت تہِ چھا یمِ زمینہ کین معبُودان باطلن معبُود ٹھہراوان۔ یم تمن مرنہ پتہ بیہِ زِندہ کرن۔ آسمانن ہندِ مُقرب بندہ چھہِ خدایِ قدوسہ سنز عِبادت کران۔ زمین بیہِ زمینہ نِشہِ بنیمتِ مخلوق یم سیٹھاہ سِفلی بنمہِ درجکِ مخلوق چھہِ، تمن اندر چھا تژہ کانہہ ہستی یم خدایس مُقابل معبود ہیکن بنت۔ یلہ خدایِ ذوالجلال تہندین پرستش کرہ وُنین سزادِت تہٕ عذاب کرِتھ مارِہ تمِ معبودانِ باطِل ہیکنہ سَنا تمن تمہِ عذابہ نِشہِ مُوکلاوت یا مرنہ پتہ بیہِ زِندہ کرِتھ۔ وَوَن یُس نہ عذابہ نِشہِ مُوکلاوِت ہیکہِ یا مرِتھ زِندہ کرِتھ ہیکہ تُتھ عاجز ہیکیا معبود آسِتھ۔ لَوۡ کَانَ فِیۡهِمَاۤ اٰلِهَةٌ اِلَّا اللّٰهُ لَفَسَدَتَا ہرگاہ آسہن آسمان وزمینس منز معبُودِ برحقس ورای بیٔ معبُود تلہِ آسہن تمِ دوشوَے تباہ تہٕ بُرباد گامت۔ کیازہ عادتاً آسہا تمن دوشونِ ہندین ارادَن تہٕ کامین اندر اختلاف۔ اکھ دپہِ ہا رُود تراوہ۔ بیاکھ دپہِ ہا بہ تراوہ نہ۔ دون منز سپدِہ ہا مزاحمت۔ پَس سپدِہ ہا فساد۔ وَنِ چونکہ فساد چھُنہ امی اَندرہ سپُد معلُوم۔ زہ[2] چھنہِ کُنوی معبودِ

الْعَرْشِ عَمَّا يَصِفُوْنَ ﴿٢٢﴾ لَا يُسْـَٔلُ عَمَّا يَفْعَلُ وَهُمْ
يُسْـَٔلُوْنَ ﴿٢٣﴾ اَمِ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖٓ اٰلِهَةً ؕ قُلْ هَاتُوْا
بُرْهَانَكُمْ ۚ هٰذَا ذِكْرُ مَنْ مَّعِيَ وَذِكْرُ مَنْ قَبْلِيْ ؕ
بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ۙ الْحَقَّ فَهُمْ مُّعْرِضُوْنَ ﴿٢٤﴾
وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا نُوْحِيْٓ اِلَيْهِ اَنَّهٗ
لَآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنَا فَاعْبُدُوْنِ ﴿٢٥﴾ وَقَالُوا اتَّخَذَ الرَّحْمٰنُ وَلَدًا

---

برحق چھُو فَسُبْحٰنَ اللّٰهِ رَبِّ الْعَرْشِ عَمَّا يَصِفُوْنَ پَس معبوٗدِ برحق عرشُک مالِک چھُو منزّہ تہٕ پاک تمو سارِوی کتھو نِشہِ یمہِ کتھ مُشرِک تَس نسبت ونان چھہِ لَا يُسْـَٔلُ عَمَّا يَفْعَلُ وَهُمْ يُسْـَٔلُوْنَ سُو چھُو تِتھوی عظمتہ وول کہ تس ایہِ نہ پرٛژھنہ کُنہِ کامہِ ہُند۔ یہِ کیازہ تہٕ یہ کونہ۔ لُوکن یِیہِ پرٛژھنہ یہِ کیازِہ کوروہ، یہِ کونہ کوروہ یلہ نہ تس عظمتس منز کانہہ شریک چھُو، معبوٗد آسنس منز کتھ کنہ ہیکہِ تس شریک آستھ اَمِ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖٓ اٰلِهَةً کیاہ معبوٗد برحق تراوِت چھا تمو بێ معبود ٹھہراومتِ قُلْ هَاتُوْا بُرْهَانَكُمْ تُہہ فرماویوکھ یارسول اللہ اے لوکو چھوےٚ اتھ شرِکس پیٹھ کانہہ دلیلاہ سۄ کرٛو پیش هٰذَا ذِكْرُ مَنْ مَّعِيَ وَذِكْرُ مَنْ قَبْلِيْ یہِ گئیہِ کتاب تِمن لوکن ہنز یِم مہ سیتِ چھہِ یعنی قرآن مجید۔ یہِ گیہِ تِمن لُوکن ہنز کتاب یِم مہ برونٛٹھ آسِ یعنی تورات وانجیل وزبور۔ یِمن سارنی کتابن منز ہاوِ تو امیُک ثبوت کُنہِ جایہِ یعنی شرِکُک بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ الْحَقَّ فَهُمْ مُّعْرِضُوْنَ بلکہ چھہِ تِمی منز اکثر تِمے یِم نہ امرِ حقّک یقینی چھہِ کران۔ تِمہِ موکھ چھہِ تِم پوز قبول کرنہ نِشہِ اعراض کران تہٕ بُتھ پھِران۔ یہِ توحیدُک مسٔلہ چھُنہ نوو کانہہ مسٔلہ یمہِ سیتِ تِمن وحشت پیدہ سپدان چھُو۔ بلکہ چھُو یہِ برونٛٹھم شریعت چنانچہ وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا نُوْحِيْٓ اِلَيْهِ اَنَّهٗ لَآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنَا فَاعْبُدُوْنِ بیہِ سوزنہ اسہِ توہہ برونٛٹھ کانہہ پیٖغمبراہ مگر تس کُن سوز اسہِ یُوہے وحی کہ کانہہ معبوٗداہ چھُنہ مےٚ وراے۔ پَس کرٛو میانی یازٕ عبادت تہٕ پرستش وَقَالُوا اتَّخَذَ الرَّحْمٰنُ وَلَدًا سُبْحٰنَهٗ تِمو

سُبْحٰنَهٗ ۭ بَلْ عِبَادٌ مُّكْرَمُوْنَ ﴿٢٦﴾ لَا يَسْبِقُوْنَهٗ بِالْقَوْلِ وَهُمْ بِاَمْرِهٖ يَعْمَلُوْنَ ﴿٢٧﴾ يَعْلَمُ مَا بَيْنَ اَيْدِيْهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ وَلَا يَشْفَعُوْنَ ۙ اِلَّا لِمَنِ ارْتَضٰى وَهُمْ مِّنْ خَشْيَتِهٖ مُشْفِقُوْنَ ﴿٢٨﴾ وَمَنْ يَّقُلْ مِنْهُمْ اِنِّىْٓ اِلٰهٌ مِّنْ دُوْنِهٖ فَذٰلِكَ نَجْزِيْهِ جَهَنَّمَ ۭ كَذٰلِكَ نَجْزِي الظّٰلِمِيْنَ ﴿٢٩﴾ ع اَوَلَمْ يَرَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اَنَّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ كَانَتَا رَتْقًا فَفَتَقْنٰهُمَا ۭ وَجَعَلْنَا مِنَ الْمَاۗءِ

---

مشرگو اَندرہ چھِ ونان بعضی کہ حضرتِ رحمانس چھِ اولاد ملایک بعضے چھِ ونان زِہ ملائک چھس کورِہ۔ توباہ۔ توباہ، سُو چھُو اولاد تہ کورِہ آسنہ نِشہِ مُنزّہ تہ پاک، تمِ ملایک چھِنہ تمسندِ اولاد بَلْ عِبَادٌ مُّكْرَمُوْنَ بلکہ چھِ تمِ خدایہِ سند معزز بندہ تہندہ عبدیّچ تہ محکومیّچ کیفیت چھَہ یہ کہ لَا يَسْبِقُوْنَهٗ بِالْقَوْلِ وَهُمْ بِاَمْرِهٖ يَعْمَلُوْنَ تمِ چھِنہ تَس برونٹھ کنہِ کَتھ ہیکان کٔرِ تھ۔ بلکہِ چھِ آسان پننہِ جایہِ رُوزِ تھ حُکمس انتظار کران۔ بیہ چھِ تمِ تہندس حُکمس تعمیل کران۔ تم چھِنہِ تہندس حُکمس بدل کران کیازِہ يَعْلَمُ مَا بَيْنَ اَيْدِيْهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ اللہ تعالیٰ چھُو تُہند برونٹھم پَتم سورُوی حال زانان۔ تمن ہندِہ ادبِچ کیفیت چھَہ یہ کہِ وَلَا يَشْفَعُوْنَ اِلَّا لِمَنِ ارْتَضٰى وَهُمْ مِّنْ خَشْيَتِهٖ مُشْفِقُوْنَ بیہ چھِنہِ تمِ شفاعت تہ سفارِش کران کانسہ مگر تس یسندِہ حقہّ اللہ تعالیٰ راضی آسہِ شفاعت کرنس۔ تمِ چھِ تہندِہ خوفہ سببہ نٔتہِ اندر آسان وَمَنْ يَّقُلْ مِنْهُمْ اِنِّىْٓ اِلٰهٌ مِّنْ دُوْنِهٖ فَذٰلِكَ نَجْزِيْهِ جَهَنَّمَ بیہ یُس اکھاہ تموِ ملکو اَندرہ دعوٰے کرِہ پننہِ معبُود آسنک معبُود برحقس ورای پَس دِموَ تس اَسِ سزا نارِ جہنّم كَذٰلِكَ نَجْزِي الظّٰلِمِيْنَ تِتھے پاٹھِ چھِ اَسِ ظالمن سزادِوان اَوَلَمْ يَرَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اَنَّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ كَانَتَا رَتْقًا فَفَتَقْنٰهُمَا کیا تِمن کافرِن سپز نامعلوم یہِ کَتھ کہ پٔز پاٹھِ آسمانہ تہ زمین اُوس اکھ اکس سیت میلِتھ بند۔ نہ اوس آسمانہ رُود پیوان نہ اُوس زمینہ منزہ کینہہ پیدہ سپدان۔ پَس مُژ راوِ اَسی تمِ دوشوے۔

كُلَّ شَيْءٍ حَيٍّ ۖ أَفَلَا يُؤْمِنُونَ ﴿٣٠﴾ وَجَعَلْنَا فِي الْأَرْضِ رَوَاسِيَ أَنْ تَمِيدَ بِهِمْ وَجَعَلْنَا فِيهَا فِجَاجًا سُبُلًا لَعَلَّهُمْ يَهْتَدُونَ ﴿٣١﴾ وَجَعَلْنَا السَّمَاءَ سَقْفًا مَحْفُوظًا ۖ وَهُمْ عَنْ آيَاتِهَا مُعْرِضُونَ ﴿٣٢﴾ وَهُوَ الَّذِي خَلَقَ اللَّيْلَ وَالنَّهَارَ وَالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ ۖ كُلٌّ فِي فَلَكٍ يَسْبَحُونَ ﴿٣٣﴾ وَمَا جَعَلْنَا لِبَشَرٍ مِنْ قَبْلِكَ الْخُلْدَ ۖ أَفَإِنْ مِتَّ فَهُمُ الْخَالِدُونَ ﴿٣٤﴾ كُلُّ نَفْسٍ ذَائِقَةُ

---

اکھ اکس نِشہ کٔرِ جُدا۔ یِتھ پاٹھ کہ آسمانکہِ طرفہ ترووُرُود زمینہ منزہ کھور گاسہ۔ امہِ بارشہِ سیت چھُنہ زمینہ منزہ گاسے یُوت کھسان بلکہ وَجَعَلْنَا مِنَ الْمَاءِ كُلَّ شَيْءٍ حَيٍّ بلکہ بنوواسہ امہِ بارشہ سیتِ پرتھ چیز اہ جاندار تہ زِندہ أَفَلَا يُؤْمِنُونَ کیاہ توتہِ کرن نا تِم پژھ وَجَعَلْنَا فِي الْأَرْضِ رَوَاسِيَ بیہ کٔر اسہِ پنہِ قدرتہ سیتِ زمینس پیٹھ کوہ پیدہ أَنْ تَمِيدَ بِهِمْ یُتھ نہ زمین لُکھ ہیتھ اورہ یُور ڈٕلہ۔ وَجَعَلْنَا فِيهَا فِجَاجًا سُبُلًا لَعَلَّهُمْ يَهْتَدُونَ بیہِ کرہ اَسہِ اتھ زمینس منز کُشادہ وَتہ یُتھ لوکھ واتان آسن پنہ نین مطلبن تہ مقصدن وَجَعَلْنَا السَّمَاءَ سَقْفًا مَحْفُوظًا بیہ کور اَسہِ آسمان محفوظ پشاہ اکھ یُس وار یہٕس کالس موجود روزِہ وَهُمْ عَنْ آيَاتِهَا مُعْرِضُونَ مگر تِم لُوکھ چھہِ امہِ کیو قدرتی نِشانو نِشہِ بُتھ پھِران وَهُوَ الَّذِي خَلَقَ اللَّيْلَ وَالنَّهَارَ وَالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ كُلٌّ فِي فَلَكٍ يَسْبَحُونَ بیہِ چھُو سُو خدا یُتھ قدرتہ وول کہ رات تہ دوہ کوٗرن پیدہ، پرتھ اکھاہ تمو دویو اَندرہ چھُو پنہ نِس مدارس منز تتھ پاٹھِ پکان زن ژھانٹ وایان چھہ۔ تِم لُوکھ چھہِ تُہندِس وفاتس پیٹھ خوشی تہ مسرّت ظاہر کران۔ یہِ وفات چھُنہ نبوتَس منافی کینہہ تہِ کیازِہ وَمَا جَعَلْنَا لِبَشَرٍ مِنْ قَبْلِكَ الْخُلْدَ أَفَإِنْ مِتَّ فَهُمُ الْخَالِدُونَ اَسہِ کورنہ توہہِ برونٹھ کانسہ بشرہ سندہ خیطرہ (خواہ سُو نبی آسِتن یا غیر نبی) دُنیاءس اندر ہمیشہ زندہ روزُن مُقرر۔ یِتھ پاٹھ توہہِ برونٹھ پیغمبر سوزنہ آے تو پتہ گے تِم یمہِ عالمہ یَتھے پاٹھِ سُو زِوہ تُہہ تہ، تُہہ تہ چھوہِ یمہِ عالمہ گژھُن۔ کیاہ ہرگاہ تُہہ یمہِ عالمہ گژھِو، تِمن چھا روزُن ہمیشہ زِندے۔ تِمن تہِ چھُو مرُن، یمہِ

الْمَوْتِ ؕ وَنَبْلُوْكُمْ بِالشَّرِّ وَالْخَيْرِ فِتْنَةً ؕ وَإِلَيْنَا تُرْجَعُوْنَ ﴿۳۵﴾ وَإِذَا رَاٰكَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا إِنْ يَّتَّخِذُوْنَكَ إِلَّا هُزُوًا ؕ أَهٰذَا الَّذِيْ يَذْكُرُ اٰلِهَتَكُمْ ۚ وَهُمْ بِذِكْرِ الرَّحْمٰنِ هُمْ كٰفِرُوْنَ ﴿۳۶﴾ خُلِقَ الْإِنْسَانُ مِنْ عَجَلٍ ؕ سَأُورِيْكُمْ اٰيٰتِيْ فَلَا تَسْتَعْجِلُوْنِ ﴿۳۷﴾ وَيَقُوْلُوْنَ مَتٰى هٰذَا الْوَعْدُ إِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿۳۸﴾ لَوْ يَعْلَمُ

---

دنیا اَندرہ نیرن۔ تِم کتھ پیٹھ چھِ تھندس یِمہِ عالمہ گژھنس پیٹھ خوشی ظاہر کران کُلُّ نَفْسٍ ذَآئِقَةُ الْمَوْتِ موت چھُو تُیتھ چیز اہ کہ پریتھ جاندارا چھُو اکھِ نتہ اکھِ دوہہ مُوتُک مزہ ژہَن وول وَنَبْلُوْكُمْ بِالشَّرِّ وَالْخَيْرِ فِتْنَةً ؕ وَإِلَيْنَا تُرْجَعُوْنَ بیہ یُوسہِ اَسہِ توہہِ چندروزہ زندگی دژمژ چھہ سُہ چھہ محض توہہِ خیرہ تہ شرہ سیتِ آزمایش کرنہ خیطرہ۔ دُنیا اَندرہ نیرت چھُو توہہِ اسی نِشہِ واتُن۔ اسہِ نِشہِ واتتھ یِیہِ پریتھ اکس مناسِب سزا تہ جزا دِنہ یِمن کافرن ہنز حالت چھہ یہ کہ وَإِذَا رَاٰكَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا إِنْ يَّتَّخِذُوْنَكَ إِلَّا هُزُوًا یلہِ تِم کافر توہہِ ؤچھان چھہِ تمہِ ساتہ چھہِ توہہِ سیتِ ٹھٹھہ تہ استہزاء کران۔ پانہ وان چھہِ ونان کہ أَهٰذَا الَّذِيْ يَذْكُرُ اٰلِهَتَكُمْ وَهُمْ بِذِكْرِ الرَّحْمٰنِ هُمْ كٰفِرُوْنَ کیا یُوہے شخص چھا یُس تُہندین معبُودن نسبت چھُو یِچھ ونان۔ حالانکہ تِم چھہِ حضرتِ رحمانہ سنْد ناوہینہ نشہِ اِنکار تہ کُفر کران۔ حقیقتس اندر آس اعتراض تِمن پژہِ ہاپانُس اتھ پیٹھ ملامت کرنِ۔ اَمہِ خوتہ تعجب چھُو کہ یِمہِ ساتہ تِم بُوزان چھہِ کہ کُفرک سزا چھُو نزولِ عذاب، تِم چھہِ اِنکارہ کِن تتھ عذابس جلد ژھانڈان خُلِقَ الْإِنْسَانُ مِنْ عَجَلٍ انسان چھُو پیدہ کرنہ آمُت بانبرہ۔ زَن امسنزِ ہ آڈرنہِ منز چھہ تراونہ آمژ جلدی تہ بانبر۔ اَمی موکھ چھہِ تِم لُوکھ جلدی عذاب منگان۔ تتھ منز ژیر گژھنس چھہِ زانان عذاب واقع نہ سپدنچ دلیل سَأُورِيْكُمْ اٰيٰتِيْ فَلَا تَسْتَعْجِلُوْنِ ای کافرو بانبرِ ومہ جلدی ہاوو وہ بُو توہہِ عذابس گرفتار کرنک نِشانہ تہ علامات۔ تُہہ مہ کرِو جلدی کیازہ وقتہ برونٹھ سُو عذاب اِیہِ نہ۔ وقتس پیٹھ یِنہ نِشہِ ڈلہِ نہ وَيَقُوْلُوْنَ مَتٰى هٰذَا الْوَعْدُ إِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ بیہ چھہِ ونان تِم لُوکھ کہ کر سپدہ یِہ وعدہ

الَّذِيْنَ كَفَرُوْا حِيْنَ لَا يَكُفُّوْنَ عَنْ وُّجُوْهِهِمُ النَّارَ وَلَا
عَنْ ظُهُوْرِهِمْ وَلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ ﴿٣٩﴾ بَلْ تَاْتِيْهِمْ بَغْتَةً
فَتَبْهَتُهُمْ فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ رَدَّهَا وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ ﴿٤٠﴾
وَلَقَدِ اسْتُهْزِئَ بِرُسُلٍ مِّنْ قَبْلِكَ فَحَاقَ بِالَّذِيْنَ سَخِرُوْا
مِنْهُمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ ﴿٤١﴾ قُلْ مَنْ يَّكْلَؤُكُمْ بِالَّيْلِ
وَالنَّهَارِ مِنَ الرَّحْمٰنِ ؕ بَلْ هُمْ عَنْ ذِكْرِ رَبِّهِمْ مُّعْرِضُوْنَ ﴿٤٢﴾

---

پوره ڇهوِے ٿهه پڙيارِ۔ لَوْ يَعْلَمُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا حِيْنَ لَا يَكُفُّوْنَ عَنْ وُّجُوْهِهِمُ النَّارَ وَلَا عَنْ ظُهُوْرِهِمْ وَلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ اے کاش تمن کافرن ہے تمہ وچ خبر گرشھہ ہایلہ تمن جھنمک نار پر یتھ طرفہ ولنہ پیہِ تو پتہ ہیکن نہ تم سُو نار پانس برونٹھکن دور کٔرِ تھ نہ پنہ پُشتہ کن تہ تھٔر کن دُور کٔرِ تھ۔ نہ ایہِ تمن کانہہ مدد کرنہ۔ اگر تمن تہِ معلوم آسہا۔ تیلہِ کرہن نہ تمِ عذابِ نارچ فرمایش۔ لہٰذا پھٔنہ یہ کتھ ضروری کہ تہنزہ فرمایشہ مُوافق کیا ایہِ نارک عذاب تمن کرنہ بَلْ تَاْتِيْهِمْ بَغْتَةً فَتَبْهَتُهُمْ فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ رَدَّهَا وَلَا هُمْ يُنْظَرُوْنَ بلکہ واتہِ تمن برونٹھکن سُو عذاب ہنگہ تہ منگہ۔ سُوی کریکھ حیران۔ دَم پھٹِ گژھن۔ پس ہیکن نہ تتھ نارس پانس نشہِ دُور کٔرِ تھ نہ اَکھ مُہلت دِنہ وَلَقَدِ اسْتُهْزِئَ بِرُسُلٍ مِّنْ قَبْلِكَ فَحَاقَ بِالَّذِيْنَ سَخِرُوْا مِنْهُمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ بیشک بیہ چھِ ٹھٹھہ آمتِ کرنہ تمن پیغمبرن سیت یم توہہِ برونٹھ آسِ یارسُول اللہ۔ پس آو ولنہ تمن ٹھٹھ کرہ وُنین سُوی عذاب یتھ تم ٹھٹھہ کران آسِ قُلْ مَنْ يَّكْلَؤُكُمْ بِالَّيْلِ وَالنَّهَارِ مِنَ الرَّحْمٰنِ تُہہ فرماویوکھ یارسول اللہ کہ دنیاءس منزٕ یُس توہہِ محفوظ چھوہ عذابہ نِشہِ یتہِ چھہ مہربانی حضرتِ رحمانہ سنزی ہر گاہ نٔے تُہہ مانو تہنز مہربانی تہ احسان تلہِ وٕنتو تُہہ کٔہہ چھُو راچھہِ کران راتس تہ دوہس حضرتِ رحمانہ سندہِ عذابہ نِشہِ۔ یہِ چھہ تہنزی رحمت تہ مہربانی کہ سُو چھُونہ توہہِ نافرمانی سببہ عذابس گرفتار کران۔ ورنہ توہہِ کٔہہ ہیکہِ تمہِ عذابہ نِشہِ بچاوِت۔ یہِ مہربانی تہ احسان اُوس منگان کہ یہِ محسن تہ مہربانی کرہ وُن گرشھہِ گُنوی زانن۔ تس

أَمْ لَهُمْ اٰلِهَةٌ تَمْنَعُهُمْ مِّنْ دُوْنِنَا ؕ لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ نَصْرَ اَنْفُسِهِمْ وَلَا هُمْ مِّنَّا يُصْحَبُوْنَ ﴿٤٣﴾ بَلْ مَتَّعْنَا هٰۤؤُلَآءِ وَ اٰبَآءَهُمْ حَتّٰى طَالَ عَلَيْهِمُ الْعُمُرُ ؕ اَفَلَا يَرَوْنَ اَنَّا نَاْتِى الْاَرْضَ نَنْقُصُهَا مِنْ اَطْرَافِهَا ؕ اَفَهُمُ الْغٰلِبُوْنَ ﴿٤٤﴾ قُلْ اِنَّمَاۤ اُنْذِرُكُمْ بِالْوَحْيِ ۖؗ وَلَا يَسْمَعُ الصُّمُّ الدُّعَآءَ اِذَا مَا يُنْذَرُوْنَ ﴿٤٥﴾

---

گوڙهه نه ڪانه شريڪ ٿاڻن. مگر تم ڇهنِ توتہِ توحيدُڪ اقرار ڪران بَلْ هُمْ عَنْ ذِكْرِ رَبِّهِمْ مُّعْرِضُوْنَ بلڪه ڇهِ تمِ بدستور پنه نِس حقيقي پروردگاره سنده ياده نِشهِ تہ توحيده نِشهِ بُتهِ پِهِران روگرداني ڪران اَمْ لَهُمْ اٰلِهَةٌ تَمْنَعُهُمْ مِّنْ دُوْنِنَا لَا يَسْتَطِيْعُوْنَ نَصْرَ اَنْفُسِهِمْ وَلَا هُمْ مِّنَّا يُصْحَبُوْنَ ڪياه تِمن ڇهااَسهِ وراى تِتهِ معبود تِمِ تِمن بچاوِ ته هيڪن سانهِ عذابه نِشهِ. تمِ ڪياه هيڪن تِمن بچاوِ ته تِمن ڇهُونه طاقت پُنن پان بچاونڪ. تِمن ڪياه هيڪن بچاوِ ته. نه هيڪه مُقابله ڪه وقته ڪانه اسهِ منزه تِمن سيتِ رُوز ته. تِمن ڪافِرن هُند ڪُفرس پيٺه اصرار ڪرُن. يِه ڇهنه تِمهِ وجهه ڪه سانين دليلن منز ڪياه ڇهُو ڪانه نقص بَلْ مَتَّعْنَا هٰۤؤُلَآءِ وَ اٰبَآءَهُمْ حَتّٰى طَالَ عَلَيْهِمُ الْعُمُرُ بلڪه ڇهُو اصلي وجهه ڪه اسهِ ڪور تِمن لُوڪن بيهِ تهندين مالين بُڊِبن دُنياءڪ سامانِ عيش مهيا. يُوتانِ تهنزه عُمره بڊےيِه. تمِ آےِ پشت در پشُت دنياءس منز عيش و آرام ڪران. تِمي آڪهه غفلت ولنه. غرض نقص ڇهُو تِمنَي منز. سُو گو غفلتُڪ نقص تہ خلل. اسهِ ڪرے يِه بيان تمِ چيز تِمو سيت تِمن غفلت ژلهِ ها. اَفَلَا يَرَوْنَ اَنَّا نَاْتِى الْاَرْضَ نَنْقُصُهَا مِنْ اَطْرَافِهَا اَفَهُمُ الْغٰلِبُوْنَ ڪياه تمِ ڇهناو ڇهان ڪه اَسِ ڇهِ تهندِس زمينس بذريعه فتوحاتِ اسلاميّه پرِيتهِ طرفه ڪمي ڪران. يمن هندِه تصرّفه نِشهِ ڪَڍِت مُسلمانن هندس تصرفُس منز اَنان. ڪياه تِمِ هيڪنه سانِس پيغمبرس پيٺه غالِب سپدِ ته. تمِ چيز وڇهتِ تے توتہِ تمِ جهالتس تہ عنادس پيٺه اصرار ڪرُ ته عذابچ فرمايش روزن ڪران قُلْ اِنَّمَاۤ اُنْذِرُكُمْ بِالْوَحْيِ تُهه فرماؤيو ڪه بُو ڇهُو سنه مگر بيم ڪران توههِ وحيڪهِ ذريعه. عذاب واقع ڪرُن ڇهُونه مينس اختيارس اندر. اگرچهِ تِتهه پاٺهِ بيم ڪرُن اوس ڪافي مگر وَلَا

وَلَئِنْ مَّسَّتْهُمْ نَفْحَةٌ مِّنْ عَذَابِ رَبِّكَ لَيَقُولُنَّ يٰوَيْلَنَآ
إِنَّا كُنَّا ظٰلِمِينَ ﴿٤٦﴾ وَنَضَعُ الْمَوَازِينَ الْقِسْطَ لِيَوْمِ الْقِيٰمَةِ
فَلَا تُظْلَمُ نَفْسٌ شَيْـًٔا ۖ وَإِنْ كَانَ مِثْقَالَ حَبَّةٍ مِّنْ
خَرْدَلٍ أَتَيْنَا بِهَا ۗ وَكَفٰى بِنَا حٰسِبِينَ ﴿٤٧﴾ وَلَقَدْ ءَاتَيْنَا
مُوسٰى وَهٰرُونَ الْفُرْقَانَ وَضِيَآءً وَّذِكْرًا لِّلْمُتَّقِينَ ﴿٤٨﴾
الَّذِينَ يَخْشَوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَيْبِ وَهُمْ مِّنَ السَّاعَةِ
مُشْفِقُونَ ﴿٤٩﴾ وَهٰذَا ذِكْرٌ مُّبٰرَكٌ أَنْزَلْنٰهُ ۚ أَفَأَنْتُمْ لَهُ

---

يَسْمَعُ الصُّمُّ الدُّعَآءَ إِذَا مَا يُنْذَرُونَ تم زرتمه ساته پزس ڳن نادِ تھ عذابه سيت کھوژناونه يوان چھِ
تمِ چھِنه سُو آلو بوزاني وَلَئِنْ مَّسَّتْهُمْ نَفْحَةٌ مِّنْ عَذَابِ رَبِّكَ لَيَقُولُنَّ يٰوَيْلَنَآ إِنَّا كُنَّا ظٰلِمِينَ تو پته
تمه ساته تمن تُهندس پروردگاره سندِه عذابچه ہواوُک اکھ دکاه لگه تمهِ ساته دپن ہاے افسوس واقعی
آسِ اَسِ ظالم ته خطاکار وَنَضَعُ الْمَوَازِينَ الْقِسْطَ لِيَوْمِ الْقِيٰمَةِ بيه گرواَسِ قيامتچه دوہه قائم عدلچ
ترکر۔ فَلَا تُظْلَمُ نَفْسٌ شَيْـًٔا پس ايِه نه کانسهِ نسبت ظلم کرنه وَإِنْ كَانَ مِثْقَالَ حَبَّةٍ مِّنْ
خَرْدَلٍ أَتَيْنَا بِهَا وَكَفٰى بِنَا حٰسِبِينَ بيه ہرگاه اَسهِ نشهِ اکس آسرِ پھلس برابر آسه کانسهِ ہنز عمل،
سُوته انواَسِ تولنه خيطره بيه چھِ اسِ کافی حساب ہينه خيطره وَلَقَدْ ءَاتَيْنَا مُوسٰى وَهٰرُونَ الْفُرْقَانَ
وَضِيَآءً وَّذِكْرًا لِّلْمُتَّقِينَ پزپاٹھ بيه کر اَسهِ حضرتِ موسیٰ اَس ته حضرتِ ہارونس عطا کتاباه، يُوسه
پزس ته اپزس منز فرق کره وٗنِ آس۔ بيه وٗتھ ہاونه خيطره اکھ گاشاه بيه اکھ نصيحت ناماه پرہيزگارن
ہندِه خيطره الَّذِينَ يَخْشَوْنَ رَبَّهُمْ بِالْغَيْبِ وَهُمْ مِّنَ السَّاعَةِ مُشْفِقُونَ تمِ پرہيزگار پننِس
پروردگارس غائبانه کھوژان چھِ، بيه تمِ قيامته نشهِ ته کھوژان چھِ، يتھ پاٹھِ تمن يعنی موسیٰ ته ہارون
عليه السلام من اَسهِ کتاب عطا کٔر وَهٰذَا ذِكْرٌ مُّبٰرَكٌ أَنْزَلْنٰهُ أَفَأَنْتُمْ لَهُ مُنْكِرُونَ يه قرآن مجيد ته

مُنۡكِرُوۡنَ ﴿۵۰﴾ وَلَقَدۡ اٰتَيۡنَاۤ اِبۡرٰهِيۡمَ رُشۡدَهٗ مِنۡ قَبۡلُ وَ
كُنَّا بِهٖ عٰلِمِيۡنَ ﴿۵۱﴾ اِذۡ قَالَ لِاَبِيۡهِ وَقَوۡمِهٖ مَا هٰذِهِ التَّمَاثِيۡلُ
الَّتِيۡۤ اَنۡتُمۡ لَهَا عٰكِفُوۡنَ ﴿۵۲﴾ قَالُوۡا وَجَدۡنَاۤ اٰبَآءَنَا لَهَا
عٰبِدِيۡنَ ﴿۵۳﴾ قَالَ لَقَدۡ كُنۡتُمۡ اَنۡتُمۡ وَاٰبَآؤُكُمۡ فِيۡ ضَلٰلٍ
مُّبِيۡنٍ ﴿۵۴﴾ قَالُوۡۤا اَجِئۡتَنَا بِالۡحَقِّ اَمۡ اَنۡتَ مِنَ اللّٰعِبِيۡنَ ﴿۵۵﴾
قَالَ بَلۡ رَّبُّكُمۡ رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ الَّذِيۡ

---

چھُو بابرکت اکھ نصیحت ناماہ، یُس اَسہِ نازِل کور کیاہ تُہہ چھُوہ اَتھ اِنکار کران وَلَقَدۡ اٰتَيۡنَاۤ اِبۡرٰهِيۡمَ رُشۡدَهٗ مِنۡ قَبۡلُ وَكُنَّا بِهٖ عٰلِمِيۡنَ پتہٕ پاٹھ بیہ کر اَسہِ ابراہیم علیہ السلامس موسیٰ علیہ السلامس برونٹھ پنُن دِوَّت تہٕ معاملہ فہمی عطا (یُس تہندِس شانس شوبہٕ ہا۔ اَسہِ آس برونٹھے خبر تہندین کمالاتِ علمین ہنز اِذۡ قَالَ لِاَبِيۡهِ وَقَوۡمِهٖ مَا هٰذِهِ التَّمَاثِيۡلُ الَّتِيۡۤ اَنۡتُمۡ لَهَا عٰكِفُوۡنَ قابلِ ذکر چھُو تہند یہ واقعہ یلہِ تموٚ دوٚپ پننہِ نِس مالس تہٕ پننہِ نِس قومس یلہِ تمِ مصروف وُچھہِ تموٚ پُتلین ہندِس عبادتس اندر روو نیہکھ۔ یمہِ کمہِ شکلہِ چھُوہ توہہِ تھاوِمژہ یمن پرستش کرنہٕ خیطرٕ تُہہ پریتھ وقتہٕ تمن برونٹھ کنہٕ بہت چھُوہ آسان قَالُوۡا وَجَدۡنَاۤ اٰبَآءَنَا لَهَا عٰبِدِيۡنَ تموٚ دوپُک جواب کہٕ اسہِ وُچھہِ مالِ تہٕ بُڈٕ بب یمنی پرستش کران۔ تمِ لوکھ آس عاقل لہٰذا زون اَسہِ تمِ چیز چھہِ پرستشہٕ قابلِ۔ قَالَ لَقَدۡ كُنۡتُمۡ اَنۡتُمۡ وَاٰبَآؤُكُمۡ فِيۡ ضَلٰلٍ مُّبِيۡنٍ ابراہیم علیہ السلامن دوپُھکھ تُہہ تہٕ بیہ تہندِ مالِ بُڈٕ بب چھُوہ پتہٕ پاٹھِ تمِ پُوتلِ لایق عِبادت زانہٕ نِس اندر ننہِ گُمراہی منز مُبتلا۔ تمِ آس پانہٕ گمراہ، تُہہ تہٕ رُودِوہ تتھ گمراہی پیٹھ۔ یہ بوز تموٚ لوٚکھ کتھاہ۔ تمِ گئے یہِ بُوزِت حیران۔ تموٚ دوٚپ قَالُوۡۤا اَجِئۡتَنَا بِالۡحَقِّ اَمۡ اَنۡتَ مِنَ اللّٰعِبِيۡنَ تمِ لگِ دپنہِ کیاہ تُہہ چھُوہ پننہِ جایہِ یہ کتھ پتہٕ زانتھ اَسہِ نِشہِ پیش کران۔ کنہٕ تُہہ چھُوہ یتھے مخول کران قَالَ بَلۡ رَّبُّكُمۡ رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ الَّذِيۡ فَطَرَهُنَّ ابراہیم علیہ السلامن فرموٚد کھ مخول چھُونہٕ بلکہ چھہِ پتہٕ کتھ نہٕ صرف مے نِشہِ یُوت بلکہ واقعس منز تہٕ چھہِ یہے پزٕ کتھ کہٕ رُبّ تُہند چھُو سُوی

فَطَرَهُنَّ ۖ وَأَنَا عَلَىٰ ذَٰلِكُم مِّنَ الشَّٰهِدِينَ ﴿٥٦﴾ وَتَاللَّهِ لَأَكِيدَنَّ أَصْنَٰمَكُم بَعْدَ أَن تُوَلُّوا مُدْبِرِينَ ﴿٥٧﴾ فَجَعَلَهُمْ جُذَٰذًا إِلَّا كَبِيرًا لَّهُمْ لَعَلَّهُمْ إِلَيْهِ يَرْجِعُونَ ﴿٥٨﴾ قَالُوا مَن فَعَلَ هَٰذَا بِـَٔالِهَتِنَآ إِنَّهُۥ لَمِنَ الظَّٰلِمِينَ ﴿٥٩﴾ قَالُوا سَمِعْنَا فَتًى يَذْكُرُهُمْ يُقَالُ لَهُۥٓ إِبْرَٰهِيمُ ﴿٦٠﴾ قَالُوا فَأْتُوا بِهِۦ عَلَىٰٓ أَعْيُنِ النَّاسِ لَعَلَّهُمْ يَشْهَدُونَ ﴿٦١﴾ قَالُوٓا

---

ذاتِ پاک یُس سارنی آسمانن تہٕ زمینن ہُند ربّ چھُو۔ یَمہِ تمہِ آسمان زمین گوڈہ پیدہ کر برونٹھم نقشہ تہٕ نمونہ آسنہٕ ورای۔ بیہ یہِ تَمنِ آسمانَن تہٕ زمینن منز چھُوتہِ سورُوی کور تمیٔ پیدہ یتھ منز تمہِ تہند پوتلِ تہِ چھہِ شاملِ۔ یعنی تمہِ تہِ چھہِ تمی پیدہ کٔرمتِ۔ وَأَنَا عَلَىٰ ذَٰلِكُم مِّنَ الشَّٰهِدِينَ بو چھُس پانہ اچھ گواہی دوان۔ اتھ پیٹھ چھہ مہِ نشہِ دلیلہ تہِ۔ بُو چھُس نہ تہند پاٹھ اچھ وٹِتھ تقلید کرن وَتَاللَّهِ لَأَكِيدَنَّ أَصْنَٰمَكُم بَعْدَ أَن تُوَلُّوا مُدْبِرِينَ قسم خدا یُو کرہ تہندین پُوتلین ضرور کینہہ تدبیراہ تہٕ بندوبستاہ یُتھ توہہِ معلوم سپدہ تُہند عاجز آسُن تُہندہ تمن نشہِ واپس گژھنہ پتہٕ فَجَعَلَهُمْ جُذَٰذًا إِلَّا كَبِيرًا لَّهُمْ لَعَلَّهُمْ إِلَيْهِ يَرْجِعُونَ چناچہِ تہندہ گژھنہ پتہٕ کر ابراہیم علیہ السلاّمن تمن پُوتلین تبرہ سیتِ ریزہ ریزہ۔ مگر نہ اکس بڈس پُوتلِس۔ تَس کورُکھ نہ کینہہ تہِ۔ یُتھ تمہِ تمن گُن واپس ینِ دریافت کرنہ خیطرہ قَالُوا مَن فَعَلَ هَٰذَا بِـَٔالِهَتِنَآ إِنَّهُۥ لَمِنَ الظَّٰلِمِينَ تمہِ پتہٕ یلہِ تمہِ واپس آۓ وچھُکھ پُوتلین ہُند یہِ حال۔ دپنہِ لگِ یہِ بے ادبی تہٕ بے حرمتی ہنز کام کٔم سنا چھہ کٔر مژسانین معبودن نسبت بیشک چھُو سُو ظالم قَالُوا سَمِعْنَا فَتًى يَذْكُرُهُمْ يُقَالُ لَهُۥٓ إِبْرَٰهِيمُ بعضی لگ دپنہِ اَسہِ بوزا کھ جواناہ اوس تمن پوتلین ہُند تذکرہ کران۔ تَس چھُو ناو ابراہیم قَالُوا فَأْتُوا بِهِۦ عَلَىٰٓ أَعْيُنِ النَّاسِ لَعَلَّهُمْ يَشْهَدُونَ دُپُکھ پَس انیون سُو سارنی لُوکن تھی۔ یُتھ تمن تھی اقرار کرہِ تمہِ تہِ روزن تتھ پیٹھ گواہ توپتہٕ انہ نوٗکھ ابراہیم علیہ السلاّم قَالُوٓا ءَأَنتَ فَعَلْتَ هَٰذَا بِـَٔالِهَتِنَا يَٰٓإِبْرَٰهِيمُ دوپُہس اے ابراہیم ژہٕ کورُتھ یہِ حال

ءَاَنْتَ فَعَلْتَ هٰذَا بِاٰلِهَتِنَا يٰٓاِبْرٰهِيْمُ ﴿٦٢﴾ قَالَ بَلْ فَعَلَهٗ ۖ كَبِيْرُهُمْ هٰذَا فَسْـَٔلُوْهُمْ اِنْ كَانُوْا يَنْطِقُوْنَ ﴿٦٣﴾ فَرَجَعُوْٓا اِلٰٓى اَنْفُسِهِمْ فَقَالُوْٓا اِنَّكُمْ اَنْتُمُ الظّٰلِمُوْنَ ﴿٦٤﴾ ثُمَّ نُكِسُوْا عَلٰى رُءُوْسِهِمْ ۚ لَقَدْ عَلِمْتَ مَا هٰٓؤُلَاۤءِ يَنْطِقُوْنَ ﴿٦٥﴾ قَالَ اَفَتَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا لَا يَنْفَعُكُمْ شَيْـًٔا وَّلَا يَضُرُّكُمْ ﴿٦٦﴾ اُفٍّ لَّكُمْ وَلِمَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ ۗ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿٦٧﴾ قَالُوْا حَرِّقُوْهُ وَانْصُرُوْٓا اٰلِهَتَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ فٰعِلِيْنَ ﴿٦٨﴾

---

سانين پوتلين نسبت قَالَ بَلْ فَعَلَهٗ كَبِيْرُهُمْ هٰذَا فَسْـَٔلُوْهُمْ اِنْ كَانُوْا يَنْطِقُوْنَ تمو ڏوھ بلڪه ڇھو کو رمُت يه يهندِ بڏهي پُوتلِ. پس پرڙهتو تمن پوتلين ڇھے تمِ ڪلام ڪره ون فَرَجَعُوْٓا اِلٰٓى اَنْفُسِهِمْ فَقَالُوْٓا اِنَّكُمْ اَنْتُمُ الظّٰلِمُوْنَ پته ڦير تمِ پانس ڳُن. پانِ پانس سيتِ سوچ ڳُرِ ته لڳِ اکه اکس وننهِ. يقيناً ڇھه زيادتي تهندي طرفه (بے جان ڪينن معبودونُ ڇھو بيشڪ ظُلم) ثُمَّ نُكِسُوْا عَلٰى رُءُوْسِهِمْ لَقَدْ عَلِمْتَ مَا هٰٓؤُلَاۤءِ يَنْطِقُوْنَ توپته آکه نومراونه ڪله بون ڳُن خجالته سببه. ڪله بُون ڳُن تراوِ ته لڳِ وننهِ واقعي توهِه ڇھو معلوم اے ابراهيم تمِ پُوتلِ ڇھنهِ ڪنهي هيڪان وَنته. قَالَ اَفَتَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا لَا يَنْفَعُكُمْ شَيْـًٔا وَّلَا يَضُرُّكُمْ * اُفٍّ لَّكُمْ وَلِمَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ابراهيم عليه السلامن دوپُڇھ ڪياه تُهه ڇھوِه اده معبود بر حقّس وراے تمن چيزن هنز پرستش ڪران يمِ نه توهِه ڪانهه نفع هيڪن واته ناوِ ته بيه نه ڪانهه نقصان. سيٹهاه تنگ ڇھُس بُوسپُڊ مت تهندهِ مُوکه بيه تمن هنز تُهه پرستش ڇھوِه ڪران معبود بر حقس وراي. ڪونه ڇھوِه تُهه عقل ڪران يُس بے جان چيز ڪته هيڪهِ نه ڳُرِ ته سُوي هيڪيا معبود آسته قَالُوْا حَرِّقُوْهُ وَانْصُرُوْٓا اٰلِهَتَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ فٰعِلِيْنَ تمِ لڳِ وننهِ پانه وان امِ ابراهيمن زالِ سانِ پَپر. لهذا اگرڇھهِ يتهِ زالنه ين نارس اندر. تُهه ڳُر ومدد معبودن پنه نين ڇھوے توهِه

قُلْنَا يٰنَارُ كُوْنِيْ بَرْدًا وَّسَلٰمًا عَلٰٓى اِبْرٰهِيْمَ ﴿٦٩﴾ وَاَرَادُوْا بِهٖ كَيْدًا فَجَعَلْنٰهُمُ الْاَخْسَرِيْنَ ﴿٧٠﴾ وَنَجَّيْنٰهُ وَلُوْطًا اِلَى الْاَرْضِ الَّتِيْ بٰرَكْنَا فِيْهَا لِلْعٰلَمِيْنَ ﴿٧١﴾ وَوَهَبْنَا لَهٗٓ اِسْحٰقَ ؕ وَيَعْقُوْبَ نَافِلَةً ؕ وَكُلًّا جَعَلْنَا صٰلِحِيْنَ ﴿٧٢﴾ وَجَعَلْنٰهُمْ اَئِمَّةً يَّهْدُوْنَ بِاَمْرِنَا وَاَوْحَيْنَآ اِلَيْهِمْ فِعْلَ الْخَيْرٰتِ وَاِقَامَ الصَّلٰوةِ وَاِيْتَآءَ الزَّكٰوةِ ۚ وَكَانُوْا لَنَا عٰبِدِيْنَ ﴿٧٣﴾

---

ڪينهه ڪرڻ. تو پڻ ڪو رُکُ نار تيار وارِ تهن ڪالڪس زيُن سو نبر ته. تمهِ پته يلهِ ابراهيم عليه السلام تته نارس منز تراوُن هيو تُهُ قُلْنَا يٰنَارُ كُوْنِيْ بَرْدًا وَّسَلٰمًا عَلٰٓى اِبْرٰهِيْمَ الله تعالىٰ فرماوان حُڪم ڪور اسهِ نارس، نارو سر دسپدَ، بيهِ سلامتي هُند ذريعه ابراهيمس پيٹھ وَاَرَادُوْا بِهٖ كَيْدًا فَجَعَلْنٰهُمُ الْاَخْسَرِيْنَ بيهِ ڪريو تمو اراده پننهِ تدبيره سيتِ ابراهيمس نقصان واتناو نڪ. پس ڪرِ اسهِ تمهِ سخت نقصان تُله وَنِ. وَنَجَّيْنٰهُ وَلُوْطًا اِلَى الْاَرْضِ الَّتِيْ بٰرَكْنَا فِيْهَا لِلْعٰلَمِيْنَ بيهِ دِيُت اسهِ نجات ابراهيم عليه السلامس بيهِ لوط عليه السلامس، يُس تُهند باپه ٹهراوس دُشمن نشهِ. واتناوِ اسهِ تمِ دوشوے تته زمينس منز يتهِ منز اَسهِ برَڪت پچهه تهاومژ لوڪن هنده خيطره يعني ملڪ شامس اندر وَوَهَبْنَا لَهٗٓ اِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ نَافِلَةً بيهِ ڪور اسهِ ابراهيم عليه السلامس عطا فرزند اِسحٰق عليه السلام تهندس مَنگنس پيٹھ. بيهِ يعقوب عليه السلام علاوه وَكُلًّا جَعَلْنَا صٰلِحِيْنَ بيهِ ڪرِ اسهِ تمِ ساري، مول پنُچو بنچو سُند پنُچو، پيغمبر يعني ترِشوے ڪرِ اسهِ پيغمبر وَجَعَلْنٰهُمْ اَئِمَّةً يَّهْدُوْنَ بِاَمْرِنَا بيهِ ڪرِ اسهِ تمِ امام ته پيشوا لوڪن هندِ تمِ تمن وته هاوان پچهِ سانه حُڪمه مُوجُب وَاَوْحَيْنَآ اِلَيْهِمْ فِعْلَ الْخَيْرٰتِ وَاِقَامَ الصَّلٰوةِ وَاِيْتَآءَ الزَّكٰوةِ وَكَانُوْا لَنَا عٰبِدِيْنَ بيهِ سُوز اَسهِ تمن گُن وحي رژه ڪامهِ ڪرنڪ بيهِ نماز پرَنڪ. بيهِ زڪوٰة دِنڪ. بيهِ آسِ تمِ ساني ياژ عبادت ڪران. يژه شوبهِ ته تژه وَلُوْطًا اٰتَيْنٰهُ حُكْمًا وَّعِلْمًا وَّنَجَّيْنٰهُ مِنَ الْقَرْيَةِ الَّتِيْ كَانَتْ تَّعْمَلُ الْخَبٰٓئِثَ بيهِ ڪورِ اسهِ عطا لوط عليه السلامس نبوّتڪ اختيارات بيهِ علم بيهِ دِتس نجات تمهِ شهره نشهِ. تمهِ

وَلُوطًا آتَيْنَاهُ حُكْمًا وَعِلْمًا وَنَجَّيْنَاهُ مِنَ الْقَرْيَةِ الَّتِي
كَانَت تَّعْمَلُ الْخَبَائِثَ ۗ إِنَّهُمْ كَانُوا قَوْمَ سَوْءٍ فَاسِقِينَ ﴿٧٤﴾
وَأَدْخَلْنَاهُ فِي رَحْمَتِنَا ۖ إِنَّهُ مِنَ الصَّالِحِينَ ﴿٧٥﴾ وَنُوحًا
إِذْ نَادَىٰ مِن قَبْلُ فَاسْتَجَبْنَا لَهُ فَنَجَّيْنَاهُ وَأَهْلَهُ مِنَ الْكَرْبِ
الْعَظِيمِ ﴿٧٦﴾ وَنَصَرْنَاهُ مِنَ الْقَوْمِ الَّذِينَ كَذَّبُوا بِآيَاتِنَا ۚ
إِنَّهُمْ كَانُوا قَوْمَ سَوْءٍ فَأَغْرَقْنَاهُمْ أَجْمَعِينَ ﴿٧٧﴾ وَدَاوُودَ
وَسُلَيْمَانَ إِذْ يَحْكُمَانِ فِي الْحَرْثِ إِذْ نَفَشَتْ فِيهِ غَنَمُ

---

شہرک لُوکھ ناپاک تہ یچھ کوم کران آسِ إِنَّهُمْ كَانُوا قَوْمَ سَوْءٍ فَاسِقِينَ بے شک آسِ تمِ لُوکھ یچھ قوم سخت بدکار وَأَدْخَلْنَاهُ فِي رَحْمَتِنَا إِنَّهُ مِنَ الصَّالِحِينَ بیہِ کوراسہِ سُو لُوط علیہ السلام داخِل پنہ نین تمِن بندن اندر یمن پیٹھ رحمت چھہ نازِل سپدان۔ کیازِہ تمِ آسِ بے شک بڈہِ درجہ کیو نیک مردو اَندرہ وَنُوحًا إِذْ نَادَىٰ مِن قَبْلُ فَاسْتَجَبْنَا لَهُ فَنَجَّيْنَاهُ وَأَهْلَهُ مِنَ الْكَرْبِ الْعَظِيمِ بیہِ کریوذکر نوح علیہ السلامہ سُند قِصہّ یلہِ ابراہیم علیہ السلامس برونٹھ تمو اللہ تعالیٰ اَس مُونگ ای بار خدایا یمن کافرن نِشہِ ہیکھناژہ میون بَدلہ۔ پَس کٔر اجابت اَسہِ تہندس منگنس۔ بیہِ دُیت اَسہِ نجات تمِن بیہ تہندین لُوکن تہ تابعَن بڈہِ غمہ نِشہِ۔ وَنَصَرْنَاهُ مِنَ الْقَوْمِ الَّذِينَ كَذَّبُوا بِآيَاتِنَا بیہِ کور اَسہِ مدد تمِن، تمِن لُوکن پیٹھ یمو اِنکار کور تہ اپزِ زان سان آیات إِنَّهُمْ كَانُوا قَوْمَ سَوْءٍ فَأَغْرَقْنَاهُمْ أَجْمَعِينَ بے شک تمِ آسِ سیٹھاہ یچھ لُوکھ پَس پھاٹو اَسہِ تمِ ساری یِکہِ وَٹہ وَدَاوُودَ وَسُلَيْمَانَ إِذْ يَحْكُمَانِ فِي الْحَرْثِ إِذْ نَفَشَتْ فِيهِ غَنَمُ الْقَوْمِ وَكُنَّا لِحُكْمِهِمْ شَاهِدِينَ بیہِ کٔر وِیاد داوٗد علیہ السلام تہ سلیمان علیہ السلامہ سُند قِصہ یلہِ تمِ فیصلہ کران آسہِ اَکہِ زراعتُک یتھ منز غلہ اوس بیہِ دَچھہِ کُلِ آسِ۔ یتھ زراعتس رات کُیت اکہِ قومُک جب (تیر) آس پیمتِ۔ یمہِ سیتِ تتھ زراعتس نقصان وو تمت اوس۔ حضرتِ

الْقَوْمِ ۚ وَكُنَّا لِحُكْمِهِمْ شٰهِدِيْنَ ﴿٧٨﴾ فَفَهَّمْنٰهَا سُلَيْمٰنَ ۚ وَكُلًّا اٰتَيْنَا حُكْمًا وَّعِلْمًا ؗ وَّسَخَّرْنَا مَعَ دَاوٗدَ الْجِبَالَ يُسَبِّحْنَ وَالطَّيْرَ ؕ وَكُنَّا فٰعِلِيْنَ ﴿٧٩﴾ وَعَلَّمْنٰهُ صَنْعَةَ لَبُوْسٍ لَّكُمْ لِتُحْصِنَكُمْ مِّنْۢ بَاْسِكُمْ ۚ فَهَلْ اَنْتُمْ شٰكِرُوْنَ ﴿٨٠﴾ وَلِسُلَيْمٰنَ الرِّيْحَ عَاصِفَةً تَجْرِيْ بِاَمْرِهٖۤ اِلَى الْاَرْضِ الَّتِيْ بٰرَكْنَا فِيْهَا ؕ وَكُنَّا بِكُلِّ شَيْءٍ عٰلِمِيْنَ ﴿٨١﴾

داوٗدن کور فیصلہ زراعتہ والس گڑھن یم تیرین دِنہ امہِ نقصانہ بدل۔ اَس آسِ تہند فیصلہ ڈ چھان فَفَهَّمْنٰهَا سُلَيْمٰنَ پَس تور فِکرہ اسہِ تمیُک فیصلہ حضرتِ سلیمانَس تمو ڈوپ یم تیر روزن زراعتہ والس نِشہِ۔ یہ کھیہِ تِمن دودھ۔ بیہ تلہِ یِہنز مُون (پیر) تیرہ وول کرہ زمیچ تہ زراعتچ خدمت یُو تان زراعت پختہ سپدہ تہ پیہ۔ تو پتہ یِیہ زراعتہ والس زراعت واپس دِنہ تیرہ والس تیر واپس دِنہ وَكُلًّا اٰتَيْنَا حُكْمًا وَّعِلْمًا تِمن دوشون صاحبن اُوس اسہِ قوت فیصلہ بیہ علم عطا کورمُت وَّسَخَّرْنَا مَعَ دَاوٗدَ الْجِبَالَ يُسَبِّحْنَ وَالطَّيْرَ وَكُنَّا فٰعِلِيْنَ بیہ کُرِ اَسہِ مُسخر تہ تابع داوٗد علیہ السلامس کوہ۔ تم کوہ آسن تمی سیت تسبیح پران۔ بیہ ڈوُن جانور تم تہ کرِ تمن مسخر تہ تابع۔ تم تہ آسِ تمی سیت تسبیح پران۔ کانسہِ ہُند گرٹھہ نہ یہ عجائب زانن۔ یہ سوروی کرہ ون آسِ اَسی وَعَلَّمْنٰهُ صَنْعَةَ لَبُوْسٍ لَّكُمْ لِتُحْصِنَكُمْ مِّنْۢ بَاْسِكُمْ فَهَلْ اَنْتُمْ شٰكِرُوْنَ بیہ ہیچھناوہ اسہِ داوٗد پیغمبر تہندہ جنگی لباس ووِنہ نُک کسب یعنی زِرہ۔ یُتھ توہہ بچاوِہ سُو لباس اکھ اَکسندہ تکلیفہ نِشہِ۔ کیا چھوہ تُوہ امہِ نعمتچ شُکرگذاری کرہ ونِ وَلِسُلَيْمٰنَ الرِّيْحَ عَاصِفَةً تَجْرِيْ بِاَمْرِهٖۤ اِلَى الْاَرْضِ الَّتِيْ بٰرَكْنَا فِيْهَا وَكُنَّا بِكُلِّ شَيْءٍ عٰلِمِيْنَ بیہ کُرِ اَسہِ سلیمان علیہ السلامس مُسخر تیز واو۔ سُوی اوس پکان تہندہ حُکمہ ملکِ شامس کُن۔ یتھ ملکس اندر اَسہِ بجہ برکتھ تھاوِمژہ چھہ۔ بیہ چھہ اَسِ پرتھ چیزاہ پُور زانہ وَنِ وَمِنَ الشَّيٰطِيْنِ مَنْ يَّغُوْصُوْنَ لَهٗ وَيَعْمَلُوْنَ عَمَلًا دُوْنَ ذٰلِكَ وَكُنَّا لَهُمْ حٰفِظِيْنَ بیہ تھاو اَسہِ تابع سلیمان علیہ السلامس بعضی جن

وَمِنَ الشَّيٰطِيْنِ مَنْ يَّغُوْصُوْنَ لَهٗ وَيَعْمَلُوْنَ عَمَلًا دُوْنَ ذٰلِكَ ۚ وَكُنَّا لَهُمْ حٰفِظِيْنَ ﴿٨٢﴾ۙ وَاَيُّوْبَ اِذْ نَادٰى رَبَّهٗۤ اَنِّىْ مَسَّنِىَ الضُّرُّ وَاَنْتَ اَرْحَمُ الرّٰحِمِيْنَ ﴿٨٣﴾ۚۖ فَاسْتَجَبْنَا لَهٗ فَكَشَفْنَا مَا بِهٖ مِنْ ضُرٍّ وَّاٰتَيْنٰهُ اَهْلَهٗ وَمِثْلَهُمْ مَّعَهُمْ رَحْمَةً مِّنْ عِنْدِنَا وَذِكْرٰى لِلْعٰبِدِيْنَ ﴿٨٤﴾ وَاِسْمٰعِيْلَ وَاِدْرِيْسَ وَذَا الْكِفْلِ ؕ كُلٌّ مِّنَ الصّٰبِرِيْنَ ﴿٨٥﴾ۚۖ وَاَدْخَلْنٰهُمْ فِىْ رَحْمَتِنَا ؕ اِنَّهُمْ مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿٨٦﴾

---

تِم سمندرس منز تھندِ ہ خیطر ہ ڈنگ تہ غوطہ دِتھ مُحتہ، لعل تہ جواہر کھاران آسِ۔ بیہِ آسِ تمِ جِن اَمہِ ورای تہِ بیہِ کامہِ کران۔ اَسی آسِ تمنِ جِنَن راچھِ کَرِ تھ تہ سنبھالتھ وَاَيُّوْبَ اِذْ نَادٰى رَبَّهٗۤ اَنِّىْ مَسَّنِىَ الضُّرُّ وَاَنْتَ اَرْحَمُ الرّٰحِمِيْنَ بئیہِ کَرِو تذکرِہ ایوّب علیہ السّلامہ سُند قصہ یلہِ اَکس سخت مرضس مُبتلا سپدِ ت تیمِ ناد دُیت پنہ نِس پروردگارس ای زِہ بو چھُوس سخت تکلیفس مُبتلا۔ ژہ چھُوک سارِوی رحم کرہ ونیو اَندرہ زیادہ رحم کرہ وُن میانِس حالس پیٹھ تہ کر تہ رحم فَاسْتَجَبْنَا لَهٗ فَكَشَفْنَا مَا بِهٖ مِنْ ضُرٍّ وَّاٰتَيْنٰهُ اَهْلَهٗ وَمِثْلَهُمْ مَّعَهُمْ رَحْمَةً مِّنْ عِنْدِنَا وَذِكْرٰى لِلْعٰبِدِيْنَ پس کَر اَسہِ اجابت تھندِس منگنس کوس اسہِ تمن سُو تکلیف تہ سختی یُوسہ تمن آس۔ بیہ کَرِ اَسہِ تمن عطا ٹرِ باژ بیہ ایتِ برونٹھ آسِ تمن سیت بیہِ تیت پننہِ رحمتہ سیتِ، بیہِ اکھ وعظ تہ نصیحتاہ بندگی کرہ وُنین ھندِ ہ خیطرہ وَاِسْمٰعِيْلَ وَاِدْرِيْسَ وَذَا الْكِفْلِ كُلٌّ مِّنَ الصّٰبِرِيْنَ بیہِ بُوزِو حضرتِ اسماعیلہ سُند حضرتِ ادریسہ سُند، بیہِ حضرت ذوالکِفلہ سُند۔ تیمِ ترشوے چھِ صبرہ والیو اَندرہ وَاَدْخَلْنٰهُمْ فِىْ رَحْمَتِنَا اِنَّهُمْ مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ بیہِ واتناو اَسہِ پننہِ نِس رحمتس منز۔ بیشک تِم چھِ نیکو کارِ واندرہ وَذَا النُّوْنِ اِذْ ذَّهَبَ

وَذَا النُّوْنِ اِذْ ذَّهَبَ مُغَاضِبًا فَظَنَّ اَنْ لَّنْ نَّقْدِرَ عَلَيْهِ فَنَادٰى فِي الظُّلُمٰتِ اَنْ لَّآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنْتَ سُبْحٰنَكَ ۖ اِنِّيْ كُنْتُ مِنَ الظّٰلِمِيْنَ ۚ ﴿٨٧﴾ فَاسْتَجَبْنَا لَهٗ ۙ وَنَجَّيْنٰهُ مِنَ الْغَمِّ ۭ وَكَذٰلِكَ نُـْۨجِي الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٨٨﴾ وَزَكَرِيَّآ اِذْ نَادٰى رَبَّهٗ رَبِّ لَا تَذَرْنِيْ فَرْدًا وَّاَنْتَ خَيْرُ

---

مُغَاضِبًا فَظَنَّ اَنْ لَّنْ نَّقْدِرَ عَلَيْهِ فَنَادٰى فِي الظُّلُمٰتِ اَنْ لَّآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنْتَ سُبْحٰنَكَ اِنِّيْ كُنْتُ مِنَ الظّٰلِمِيْنَ بیہ کریو تذکرہ گاڑہ والس پیغمبر یُونس علیہ السلامہ سُند قصہ۔ یلہِ تم پننہِ قومہ نِشہِ درائے تِمن نِشہِ خفہ سپدِ تھ۔ یلہِ نہ تِمو ایمان قبول کور۔ تو پتہ یلہِ تہندِہ قومہ نِشہِ عذاب دُور سپدِ تھ تہِ آے نہ تِم واپس بلکہ تھوو کھ پٔنُن سفر جاری سانہِ اجازتہ وراے۔ تِمو کورپننہ اجتہادہ سیت یہِ خیال کہ یتھ میانس بلا اِجازت سفر کرنس پیٹھ سپدِ نہ مہ پیٹھ کانہہ باز خواست۔ انبیاءَن پیٹھ چھُ لازِم وحیس پیارُن۔ وحیہ مُوجُبے پریتھ کاماہ کرِن۔ تِمن سپز اتھ ترک مُناسب کرنس پیٹھ خدایہ سندِہ طرفہ آزمائیش۔ بُتھہِ آو اکھ دریاوِہ اکھ۔ بیہِ آیہِ ناواہ اکھ۔ تِم سپدِ تتھ ناوِہ منز سوار۔ "یہ ناو سپز طوفانس گرفتار پتہ تراوِہا اَنزِو چیرہ کہ کس سنا چھہ بغیر اِجازتہ سفرس درامت، چیرن منز دراو حضرت یونس علیہ الصلاۃ والسلامن ھندناو دوبارہ تہِ آیہِ چیرہِ تراونہ تتہ تہ دراو تہندی ناو" پتہ آی تراونہ تِم دریاوس منز۔ اتی تیچ ناو۔ خدایہ سندِہ حُکمہ سیتِ آیہِ اکھ گاڑاہ۔ تمیٔ کھے تِم یعنی یُونس علیہ السلام۔ پتہ مُونگ تِمو تاریکی تہ گٹن اندر کہ ژہ ورای چھُنہ کانہہ معبُود۔ ژہ چھُک ساروی عیبو نِشہِ مُنزّہ تہ پاک۔ بُہ چھُس گنہگار روانِدرہ۔ میانہ طرفہ آیہِ غلطی۔ میون قصور کر معاف۔ مہِ موکلاو یمہِ سختی منزہ فَاسْتَجَبْنَا لَهٗ وَنَجَّيْنٰهُ مِنَ الْغَمِّ پتہ کٔر اسہِ تہندِس منگنس اجابت۔ بیہِ دُیت نجات اسہِ تِمن غمہ نِشہِ وَكَذٰلِكَ نُـْۨجِي الْمُؤْمِنِيْنَ یتھ پاٹھ اسہِ یُونس علیہ السلامس نجات دُیت۔ تِتھے پاٹھِ دِموٗ اَسِ نجات بایمانن یلہِ تِم تہِ یہِ دُعا پرٔن۔ وَزَكَرِيَّآ اِذْ نَادٰى رَبَّهٗ رَبِّ لَا تَذَرْنِيْ فَرْدًا وَّاَنْتَ خَيْرُ الْوٰرِثِيْنَ بیہِ

الْوٰرِثِيْنَ ﴿٨٩﴾ فَاسْتَجَبْنَا لَهٗ ۫ وَوَهَبْنَا لَهٗ يَحْيٰى وَاَصْلَحْنَا لَهٗ زَوْجَهٗ ؕ اِنَّهُمْ كَانُوْا يُسٰرِعُوْنَ فِى الْخَيْرٰتِ وَ يَدْعُوْنَنَا رَغَبًا وَّرَهَبًا ؕ وَكَانُوْا لَنَا خٰشِعِيْنَ ﴿٩٠﴾ وَالَّتِىْٓ اَحْصَنَتْ فَرْجَهَا فَنَفَخْنَا فِيْهَا مِنْ رُّوْحِنَا وَ جَعَلْنٰهَا وَابْنَهَآ اٰيَةً لِّلْعٰلَمِيْنَ ﴿٩١﴾ اِنَّ هٰذِهٖٓ اُمَّتُكُمْ اُمَّةً وَّاحِدَةً ۖ وَّاَنَا رَبُّكُمْ فَاعْبُدُوْنِ ﴿٩٢﴾ وَتَقَطَّعُوْٓا اَمْرَهُمْ

---

کُر وِیاد زکریا علیہ السلامہ سُند قصہ۔ یلہ تمو مُونگ پنہ نِس پَروردگارس، ای میانہٕ پروردگارہ مَتہ تراو تہ مہٕ لاوارِث تہ بے اَولاد۔ ژٕ چھُوکھ حقیقی تہ بہتر وارِث۔ سُو اولاد تھاوِہ ہا میان کام قومَس اندر باقی۔ تمن آسہا چانِ احکام واتناوان فَاسْتَجَبْنَا لَهٗ وَوَهَبْنَا لَهٗ يَحْيٰى وَاَصْلَحْنَا لَهٗ زَوْجَهٗ پتہٕ کُر اَسہِ تہندِس منگنس اِجابت تہ پتہ کور اَسہِ تمن عطا فرزند، یحییٰ علیہ السلام بیہ کُر درست اَسہِ تہنز آشِنہٕ۔ تمن یُوسہ ہانٹھ آسُنچ شکایت آس سُو کُر اَسہِ دُور تمن۔ سُہ سپز اولاد بنہ نِس قابلِ اِنَّهُمْ كَانُوْا يُسٰرِعُوْنَ فِى الْخَيْرٰتِ وَيَدْعُوْنَنَا رَغَبًا وَّرَهَبًا بے شک تم ساری پیغمبر تمن ہنز ذکر یتھ سُورہ شریفس منز کرنہ آیہ آسِ جلدی کران خیرہ چَن کامین اندر بیہ آس سانِ عبادت کران توقع سان تہ خوفہ سان وَكَانُوْا لَنَا خٰشِعِيْنَ بیہ آسِ تم اَسہِ برونٹھ کنہ عاجزی نِنراوہ ونِ وَالَّتِىْٓ اَحْصَنَتْ فَرْجَهَا فَنَفَخْنَا فِيْهَا مِنْ رُّوْحِنَا وَجَعَلْنٰهَا وَابْنَهَآ اٰيَةً لِّلْعٰلَمِيْنَ بیہ کریو تذکرہ تس دید صابہ ہُند یمہٕ راچھ کر پنہ نِس عصمتس مرَدن نشہ پتہ واتنو واسہِ پنہٕ رُوح بواسطہٕ جبریلِ امین علیہ السلام تمن نشہٕ، یمہٕ سیتِ خاوندس ورای تہندِس شکمس اندر بچہ رُود یعنی حضرتِ عیسیٰ تمی چھ ونان تمن رُوح اللہ۔ بیہ کُر اَسہِ سُو دید صاب بیہ تسند فرزند پنہ قدرتک اکھ بوڈ نشانہ اکھ سارنی عالمین ہندِ خیطرہ یعنی تہندہ نِکاح ورای حاملہ سپُدن بیہ فرزند اہ پیدہ سپُدن بے پدر۔ امی اَندرہ گژھہِ زانُن کہ اللہ تعالیٰ چھُو پریتھ چیزس پیٹھ قُدرت تہ ژول اِنَّ هٰذِهٖٓ اُمَّتُكُمْ اُمَّةً وَّاحِدَةً وَّاَنَا رَبُّكُمْ فَاعْبُدُوْنِ اَے لوکو یمہٕ برونٹھ یُس

بَيْنَهُمْ ۭ كُلٌّ اِلَيْنَا رٰجِعُوْنَ ﴿٩٣﴾ فَمَنْ يَّعْمَلْ مِنَ الصّٰلِحٰتِ
وَهُوَ مُؤْمِنٌ فَلَا كُفْرَانَ لِسَعْيِهٖ ۚ وَاِنَّا لَهٗ كٰتِبُوْنَ ﴿٩٤﴾ وَ
حَرٰمٌ عَلٰى قَرْيَةٍ اَهْلَكْنٰهَآ اَنَّهُمْ لَا يَرْجِعُوْنَ ﴿٩٥﴾ حَتّٰٓى اِذَا
فُتِحَتْ يَاْجُوْجُ وَمَاْجُوْجُ وَهُمْ مِّنْ كُلِّ حَدَبٍ يَّنْسِلُوْنَ ﴿٩٦﴾
وَاقْتَرَبَ الْوَعْدُ الْحَقُّ فَاِذَا هِيَ شَاخِصَةٌ اَبْصَارُ الَّذِيْنَ
كَفَرُوْا ۭ يٰوَيْلَنَا قَدْ كُنَّا فِيْ غَفْلَةٍ مِّنْ هٰذَا بَلْ

---

مضمون بیان آوُ کرنہ تِمہِ اَندرہ سپُد معلوم کہِ انبیاء کرامَن ہُند طریق چھُو توحید۔ بیشک یُوہے چھُو تُہند طریق یتھ مستقیم روزُن چھُو توہہ پیٹھ واجِب۔ یہوی چھُو کُنوی طریق یتھ منزنہ کانسہِ پیغمبرس اختلاف چھُو یمہِ طریقُک حاصِل چھُو کہ بُو چھُوس تُہند حقیقی پروردگار، یُس پزِہ توہہِ میانی یاڑ عِبادت کرنِ، لُوکن اُوس لازِم اتھ طریقس پیٹھ محکم روزُن وَتَقَطَّعُوْٓا اَمْرَهُمْ بَيْنَهُمْ ۭ كُلٌّ اِلَيْنَا رٰجِعُوْنَ مگر لوکو کور دینہ کِس مُعاملس اندر اختلاف۔ دینس کٔرِکھ ٹکرہ ٹُکرہ۔ تمیُک سزا کھین تِم پانے۔ کیازِہ پریتھ اکس چھُو واتُن اَسی نشہِ۔ یُوت واتتھ تلہ پریتھ اکھاہ پننِہ عملہ ہند نتیجہ فَمَنْ يَّعْمَلْ مِنَ الصّٰلِحٰتِ وَهُوَ مُؤْمِنٌ فَلَا كُفْرَانَ لِسَعْيِهٖ وَاِنَّا لَهٗ كٰتِبُوْنَ یُس یُس اکھاہ رٔژ کام کرِہ باایمان آسِتھ یُس ضائع تہ چھنبِ گژھہِ نہ تہنز کوشِش۔ اَسِ چھِہ تہنزہ عملہ لیکھِت تھاوَن وال وَحَرٰمٌ عَلٰى قَرْيَةٍ اَهْلَكْنٰهَآ اَنَّهُمْ لَا يَرْجِعُوْنَ ناممکن چھُو تِمَن شہرن ہندین لُوکن ہُند یِم اسہِ نافرمانی سببہ گال دُنیاءِس کُن بییِہ واپس یِن حَتّٰٓى اِذَا فُتِحَتْ يَاْجُوْجُ وَمَاْجُوْجُ وَهُمْ مِّنْ كُلِّ حَدَبٍ يَّنْسِلُوْنَ یُوتان یاجوج ماجوج یلہ تراونہ یِنِ یِم وُنکیس سدِّ سکندریس منز بند چھِہ تُو پتہ دوٗرَن تِم کوہَو تہ بالو پیٹھ وَاقْتَرَبَ الْوَعْدُ الْحَقُّ تو پتہ سپدِہ پوٗرہ پوز وعدہ یعنی قیامت سپدِہ تمہِ پتے قایم فَاِذَا هِيَ شَاخِصَةٌ اَبْصَارُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا تو پتہ لگن درہ کافرن ہنزہ اَچھِہ۔ تِم آسِ ای ونان يٰوَيْلَنَا قَدْ كُنَّا فِيْ غَفْلَةٍ مِّنْ هٰذَا بَلْ كُنَّا ظٰلِمِيْنَ قیامتِک ہولناک حالات وُچھِت دِپن ہای افسوس پٔز پاٹھ آس اَسِ قیامتہ نِشہِ غفلتس منز

كُنَّا ظٰلِمِيْنَ ﴿٩٧﴾ اِنَّكُمْ وَمَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ
حَصَبُ جَهَنَّمَ ؕ اَنْتُمْ لَهَا وٰرِدُوْنَ ﴿٩٨﴾ لَوْ كَانَ هٰٓؤُلَآءِ
اٰلِهَةً مَّا وَرَدُوْهَا ؕ وَكُلٌّ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٩٩﴾ لَهُمْ فِيْهَا
زَفِيْرٌ وَّهُمْ فِيْهَا لَا يَسْمَعُوْنَ ﴿١٠٠﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ سَبَقَتْ
لَهُمْ مِّنَّا الْحُسْنٰٓى ۙ اُولٰٓئِكَ عَنْهَا مُبْعَدُوْنَ ﴿١٠١﴾ لَا يَسْمَعُوْنَ
حَسِيْسَهَا ۚ وَهُمْ فِيْ مَا اشْتَهَتْ اَنْفُسُهُمْ خٰلِدُوْنَ ﴿١٠٢﴾

---

بُوڈِمت۔ غفلت گئے یِہ ہرگاہ اَسِ کانسہِ خَبر دار آسہو نہ کُرمتِ بلکہ آسِ اَس ظلم کرہ وِنِ اِنَّكُمْ وَ مَا تَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ حَصَبُ جَهَنَّمَ اَنْتُمْ لَهَا وٰرِدُوْنَ وَننہ ییکھ پتہ پاٹھ تہہ اے مُشرِکو بیہ تِمن ہنز پرستش کران آسوہ تُہہ خدا ئیس ورای چھوہ اَزنارِ جہنمک زین۔ تتھ منز چھوہ توہہِ سارنی ضرور واتُن۔ معبُودو اندرہ یِم بعضے ملائیکہ یا پیغمبر چھہ تِم چھہ بیہ آیۂ کریمہ سیتِ امہِ نشہِ مُستثنٰی آمت تھاونہ تمیُک ذِکر بیہِ عنقریب لَوْ كَانَ هٰٓؤُلَآءِ اٰلِهَةً مَّا وَرَدُوْهَا وَكُلٌّ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ تِمن یِیہِ وننہ ہرگاہ آسہن یِم پُوتلِ معبُود تیلہ کیا زِہ واتہ ہَن تِم نار جہنمس منز۔ نتہِ روزُن تہِ کم کینہہ کالہ چھُونہ توہہِ، توہہِ سارنی چھو روزُن ہمیشہ اُتھِ جہنمس اندر لَهُمْ فِيْهَا زَفِيْرٌ وَّهُمْ فِيْهَا لَا يَسْمَعُوْنَ تِمن کافِرن آسہِ جہنمس منز کریکہ نادتہ شوروغُل یِمہِ سببہ تِم اکھ اکسنز کتھی آسن نہ بوزان اِنَّ الَّذِيْنَ سَبَقَتْ لَهُمْ مِّنَّا الْحُسْنٰٓى اُولٰٓئِكَ عَنْهَا مُبْعَدُوْنَ پتہ پاٹھِ یِہندہ خیطرہ برونٹھی ازلہ مُقرر چھہ آمُژ کرنہ نیکی تہ رژر، یمیُک ظہور آسہِ سپدمُت تہندیو اعمال وافعالو سیتِ تِم چھہِ امہِ جہنمہ نشہِ دُور تھاونہ آمِت لَا يَسْمَعُوْنَ حَسِيْسَهَا وَهُمْ فِيْ مَا اشْتَهَتْ اَنْفُسُهُمْ خٰلِدُوْنَ تِم بوزن نہ تمیُک ستھ تہ بیہ آسن تِم پننہ نین مرغوب چیزن اندر ہمیشہِ روزہ ون۔ لَا يَحْزُنُهُمُ الْفَزَعُ الْاَكْبَرُ وَتَتَلَقّٰىهُمُ الْمَلٰٓئِكَةُ غمگین کرہ نہ تِمن بڈ پریشانی یعنی پُوغس دو یُم پھوکھ دِنہ سببہ یِم ہیبت ناک واقعات سپدن قبرہ منزہ نیرہ وُنے۔ بیہِ یِنِ تِمن استقبالس ملائک تِم وَنہ نکھ هٰذَا يَوْمُكُمُ الَّذِيْ كُنْتُمْ تُوْعَدُوْنَ یہوی کیا گو تُہند

لَا يَحْزُنُهُمُ الْفَزَعُ الْأَكْبَرُ وَتَتَلَقّٰىهُمُ الْمَلٰٓئِكَةُ ۭ هٰذَا يَوْمُكُمُ الَّذِيْ كُنْتُمْ تُوْعَدُوْنَ ﴿١٠٣﴾ يَوْمَ نَطْوِي السَّمَآءَ كَطَيِّ السِّجِلِّ لِلْكُتُبِ ۭ كَمَا بَدَاْنَآ اَوَّلَ خَلْقٍ نُّعِيْدُهٗ ۭ وَعْدًا عَلَيْنَا ۭ اِنَّا كُنَّا فٰعِلِيْنَ ﴿١٠٤﴾ وَلَقَدْ كَتَبْنَا فِي الزَّبُوْرِ مِنْۢ بَعْدِ الذِّكْرِ اَنَّ الْاَرْضَ يَرِثُهَا عِبَادِيَ الصّٰلِحُوْنَ ﴿١٠٥﴾ اِنَّ فِيْ هٰذَا لَبَلٰغًا لِّقَوْمٍ عٰبِدِيْنَ ﴿١٠٦﴾ ۭ وَمَآ اَرْسَلْنٰكَ اِلَّا رَحْمَةً لِّلْعٰلَمِيْنَ ﴿١٠٧﴾

---

سُو ڏوهه ـمُنگ توهه وعده ٿاونه اُوس يوان. تمن سپده ـيه بوزنه سيت، مسرّت وشادماني زياده يَوْمَ نَطْوِي السَّمَآءَ كَطَيِّ السِّجِلِّ لِلْكُتُبِ سُو ڏوهه ته ڇهو قابلِ ذکر ـمه ڏوهه آسمان وٽوآسِ تته پاٺ ـيته پاٺ ليکهنه آسمته مضمونک کاغذ ڇهو وٹنه يوان تمه پته مِنِ تم ـيتهي پاٺ وٺهي ٿاونه دو ـمس پهوکس تانِ يائين معدوم محض کرنه كَمَا بَدَاْنَآ اَوَّلَ خَلْقٍ نُّعِيْدُهٗ ـيته پاٺ اسه گوڈنچه لٹه پيده کرنه وقته پر ـيته چيز چ پيدائش کر ـيتهي پاٺ کرواسه دوباره بيه پيده. وَعْدًا عَلَيْنَا اِنَّا كُنَّا فٰعِلِيْنَ يه ڇهو وعداه اکه اسه پيٹھ مٹهِ بے شک اَسي ڇه سُو وعده پُوره کره ون وَلَقَدْ كَتَبْنَا فِي الزَّبُوْرِ مِنْۢ بَعْدِ الذِّكْرِ اَنَّ الْاَرْضَ يَرِثُهَا عِبَادِيَ الصّٰلِحُوْنَ بيه ليوکه اَسه سارني آسماني کتابَن اندر لوح محفوظس منز ليکهنه پته که پيٹز پاٺ جنتچه زمينک وارث ته مالک آسَن نيکوکار بنده اِنَّ فِيْ هٰذَا لَبَلٰغًا لِّقَوْمٍ عٰبِدِيْنَ پيٹز پاٺ ـيته قرآن مجيدس منز يا ـيته سُوره شريفس منز ڇهو کافي مضمون هدايتس مُتعلق عبادت کره وَنين لوکن هندِه خيطره وَمَآ اَرْسَلْنٰكَ اِلَّا رَحْمَةً لِّلْعٰلَمِيْنَ بيه نه حضِ سوزِوه نه اسه تُهه مگر سوزِوه ـيتهي نفع دِوه ون مضمون هيته عالمين پيٹھ مهرباني کرنه خيطره. سُو مهرباني گئيه ـيته که لُوکه کرن اَمس پيغمبر بر حقس نشه تمِ مضمون قبول کرِ ته هدايتک ثمره ته پهل حاصِل. يُس نه تمِ مضامين قبول کرهِ، تِه ڇهو تمس پننِ قصور. تمن مضامين پيٹھ ڇهونه تمه سيت کانهه اثر پيوان. قُلْ اِنَّمَا يُوْحٰٓى اِلَيَّ اَنَّمَآ اِلٰهُكُمْ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ فَهَلْ اَنْتُمْ مُّسْلِمُوْنَ تُهه فرماوِيُوکه بطور خلاصه بيه يه کته که مه کُن ڇهونه کانهه وَحي سوزنه يوان مگر اي زِه پيٹز پاٺِ

قُلْ اِنَّمَا يُوْحٰٓى اِلَيَّ اَنَّمَآ اِلٰهُكُمْ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ ۚ فَهَلْ اَنْتُمْ مُّسْلِمُوْنَ ﴿١٠٨﴾ فَاِنْ تَوَلَّوْا فَقُلْ اٰذَنْتُكُمْ عَلٰى سَوَآءٍ ۭ وَاِنْ اَدْرِيْٓ اَقَرِيْبٌ اَمْ بَعِيْدٌ مَّا تُوْعَدُوْنَ ﴿١٠٩﴾ اِنَّهٗ يَعْلَمُ الْجَهْرَ مِنَ الْقَوْلِ وَيَعْلَمُ مَا تَكْتُمُوْنَ ﴿١١٠﴾ وَاِنْ اَدْرِيْ لَعَلَّهٗ فِتْنَةٌ لَّكُمْ وَمَتَاعٌ اِلٰى حِيْنٍ ﴿١١١﴾ قٰلَ رَبِّ احْكُمْ بِالْحَقِّ ۭ وَرَبُّنَا الرَّحْمٰنُ الْمُسْتَعَانُ عَلٰى مَا تَصِفُوْنَ ﴿١١٢﴾ ع

---

تُہند معبُود چھُو کُنُوی۔ پَس کیاہ چھِوہ تُہہ یہ کتھ مانہ ونِ اچھ حقیقت ثابتِ سپدنہ پتہ فَاِنْ تَوَلَّوْا فَقُلْ اٰذَنْتُكُمْ عَلٰى سَوَآءٍ توپتہ ہرگاہ تمِ بُتھ پھِرن تہ مانن نہ تلہِ فرماویُو کھ مہِ کُر موہ توہہِ عذابچ خبر برابر برابر وَاِنْ اَدْرِيْٓ اَقَرِيْبٌ اَمْ بَعِيْدٌ مَّا تُوْعَدُوْنَ مہ چھُونہ معلوم سُو عذاب کروَسہِ توہہِ پیٹھ جلدی کِنہ یئِژ کالِ۔ تمیُک توہہِ وعدہ کرنہِ یوان چھُو اِنَّهٗ يَعْلَمُ الْجَهْرَ مِنَ الْقَوْلِ وَيَعْلَمُ مَا تَكْتُمُوْنَ پئِز پاٹھِ تُہنُد پروردِگار چھُو زانان تُہنز سو کتھ یُوسہ تُہہ بڈٕہ چھِوہ کران بیِہ چھُو زانان تہِ سوٗرُوی یہ تُہہ پُوشیدہِ تہ کھِٹُھ چھِوہ تھاوان وَاِنْ اَدْرِيْ لَعَلَّهٗ فِتْنَةٌ لَّكُمْ وَمَتَاعٌ اِلٰى حِيْنٍ بیِہ چھُونہ معلوم شاید عذابس منز تاخیر سپُدن ما آسہِ تُہندہ آزمایشہِ خیٹرہ یائُنہ وقس تانِ توہہ تمتع تہ نفع تُلہ ناونہ خیٹرہ قٰلَ رَبِّ احْكُمْ بِالْحَقِّ وَرَبُّنَا الرَّحْمٰنُ الْمُسْتَعَانُ عَلٰى مَا تَصِفُوْنَ پیغمبرن کور دُعا اے میانہِ پروردگارہ ژٔی کر میانِس قومَس منز حق وِانصافُک حُکماہ تہ فیصلاہ۔ بیِہ فرموو پیغمبر برحقن سون پروردگار چھُو سیٹھاہ رحمتہ وول۔ تتِس نِشہِ چھہِ اَسِ مدد منگان تمن کتھن پیٹھ یمہِ کتھ تُہہ تس نسبت وَنان چھِوہ۔

# سُوْرَةُ الْمُؤْمِنُوْنَ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

قَدْ اَفْلَحَ الْمُؤْمِنُوْنَ ﴿۱﴾ الَّذِيْنَ هُمْ فِيْ صَلَاتِهِمْ خٰشِعُوْنَ ﴿۲﴾ وَالَّذِيْنَ هُمْ عَنِ اللَّغْوِ مُعْرِضُوْنَ ﴿۳﴾ وَالَّذِيْنَ هُمْ لِلزَّكٰوةِ فٰعِلُوْنَ ﴿۴﴾ وَالَّذِيْنَ هُمْ لِفُرُوْجِهِمْ حٰفِظُوْنَ ﴿۵﴾ اِلَّا عَلٰٓى اَزْوَاجِهِمْ اَوْ مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُمْ فَاِنَّهُمْ غَيْرُ مَلُوْمِيْنَ ﴿۶﴾ فَمَنِ ابْتَغٰى وَرَآءَ ذٰلِكَ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْعٰدُوْنَ ﴿۷﴾ وَالَّذِيْنَ هُمْ

---

قَدْ اَفْلَحَ الْمُؤْمِنُوْنَ پزپاٹھِ کامیاب سپدِ آخرتس اندر تمِ باایمان یمن اعتقاد صحیح آسِتھ یمِ صِفت تہِ آسن الَّذِيْنَ هُمْ فِيْ صَلَاتِهِمْ خٰشِعُوْنَ تمے باایمان یمِ پننہ نین نمازن اندر، فرضن تہ نفلن اندر دِل حاضر تھَوان چھہِ، خشوع و خضوع سان نماز پران چھہِ وَالَّذِيْنَ هُمْ عَنِ اللَّغْوِ مُعْرِضُوْنَ بیہِ یمِ بےہُودہ کتھو تہ کامیو نشہِ بیس طرفس کُن بُتھ پذران تہ دُور روزان چھہِ وَالَّذِيْنَ هُمْ لِلزَّكٰوةِ فٰعِلُوْنَ بیہِ یمِ اعمالن، اخلاقن تہ اموالن پاک کران چھہِ وَالَّذِيْنَ هُمْ لِفُرُوْجِهِمْ حٰفِظُوْنَ بیہِ یم سترہ چِن جاین حرامہ نشہ راچھ کران اِلَّا عَلٰٓى اَزْوَاجِهِمْ اَوْ مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُمْ مگرے پننہ نین حلال منکوحہ زنانن یا تمن کینزن یہندِ یمِ چانہِ مالِک آسن تمن نشہِ حفاظت کرہ ونِ آسن نہ فَاِنَّهُمْ غَيْرُ مَلُوْمِيْنَ پَس بیشک تمن سیت ہمبستری کرنس چھُونہ کانہہ الزام بشرطیکہ تمہِ زنانہ تہ کینزہ آسن حیضہ تہ نفاسہ نشہِ خالی بیہِ آسَن نہ فرضِ روزہ داری یاجہ کس احرامس اندر مشغول بیہِ لیہِ نہ مخصوص جایہِ ورای بیاکھ جای استعمال کرنہ فَمَنِ ابْتَغٰى وَرَآءَ ذٰلِكَ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْعٰدُوْنَ پَس یُس اکھاہ امہِ ورائے بیہِ کانہہ جائے پننِ شہوت پُورہ کرنہ خیطرہ ژھانڈہ، پَس چھہِ تمِ حدہ نشہِ ڈلہ ونِ

لِاَمٰنٰتِهِمْ وَعَهْدِهِمْ رٰعُوْنَ ۝٨ وَالَّذِيْنَ هُمْ عَلٰى صَلَوٰتِهِمْ يُحَافِظُوْنَ ۝٩
اُولٰٓئِكَ هُمُ الْوٰرِثُوْنَ ۝١٠ الَّذِيْنَ يَرِثُوْنَ الْفِرْدَوْسَ ۭ هُمْ فِيْهَا
خٰلِدُوْنَ ۝١١ وَلَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنْ سُلٰلَةٍ مِّنْ طِيْنٍ ۝١٢
ثُمَّ جَعَلْنٰهُ نُطْفَةً فِيْ قَرَارٍ مَّكِيْنٍ ۝١٣ ثُمَّ خَلَقْنَا النُّطْفَةَ عَلَقَةً
فَخَلَقْنَا الْعَلَقَةَ مُضْغَةً فَخَلَقْنَا الْمُضْغَةَ عِظٰمًا فَكَسَوْنَا الْعِظٰمَ
لَحْمًا ۤ ثُمَّ اَنْشَاْنٰهُ خَلْقًا اٰخَرَ ۭ فَتَبٰرَكَ اللّٰهُ اَحْسَنُ الْخٰلِقِيْنَ ۝١٤

---

وَالَّذِيْنَ هُمْ لِاَمٰنٰتِهِمْ وَعَهْدِهِمْ رٰعُوْنَ بیہِ تِمَو پنٕنین امانتن تہٕ عہدن ہُند رعایت کرہ وِن آسن
وَالَّذِيْنَ هُمْ عَلٰى صَلَوٰتِهِمْ يُحَافِظُوْنَ بیہِ یِم پنٕنین نمازن راچھہٕ کرہ وِن آسن یعنے وقتچ پابندی کرہ
وِن آسنِ۔ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْوٰرِثُوْنَ * الَّذِيْنَ يَرِثُوْنَ الْفِرْدَوْسَ هُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ تِمَن باایمانن
منز یِم شہ٦ صفت آسن تِمے چھہِ وارِث سپدہ وِن، تِمِ جنت الفردوسک وارِث بَنِن تِمے روزَن تتھ منز
ہمیشہ وَلَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنْ سُلٰلَةٍ مِّنْ طِيْنٍ بیہِ کوراسہِ ییٚزِ پاٹھِ انسان میژِ ہندِس خلاصس
یعنے غذاءس پیدہ (گوڈہ چھہ آسان میژ تو پتہ چھُو تتھ غذاءس سُو مادہ بنان یتھ انسان بنان چھُو ثُمَّ
جَعَلْنٰهُ نُطْفَةً فِيْ قَرَارٍ مَّكِيْنٍ تو پتہ بنوواسہِ سُو تتھ نُطفس یُس اکس مُعین مُدتَس تان اکس محفوظ مقامَس
یعنے رحمس منز روزان چھُو ثُمَّ خَلَقْنَا النُّطْفَةَ عَلَقَةً تو پتہ بنوواسہِ تتھ نُطفس موٹ خون فَخَلَقْنَا
الْعَلَقَةَ مُضْغَةً تو پتہ بنوواسہِ تتھ مُوٹِس خونس ماز پھولاہ فَخَلَقْنَا الْمُضْغَةَ عِظٰمًا پَس بناوِہ اَسہِ تتھ ماز
پھلِس منز اڈجہ فَكَسَوْنَا الْعِظٰمَ لَحْمًا تو پتہ وول اَسہِ تِمَن اڈجَن سُو ماز ثُمَّ اَنْشَاْنٰهُ خَلْقًا اٰخَرَ تو پتہ
تتھ منز رُوح واتہ ناوِتھ بنوواسہِ بیاکھے مخلوقاہ یُس برونٹھِمیو حالاتو نشہِ بَدلے اوس فَتَبٰرَكَ اللّٰهُ اَحْسَنُ
الْخٰلِقِيْنَ پَس کیُتھ بوڈ شان چھُو اللہ تعالیٰ سُندس سارِنی کاریگرن کھِست چھُو ثُمَّ اِنَّكُمْ بَعْدَ ذٰلِكَ
لَمَيِّتُوْنَ تو پتہ چھِوہ تُہہ اَمہِ پتہ ضرُور مرہ وِنِ ثُمَّ اِنَّكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ تُبْعَثُوْنَ تو پتہ ایو تُہہ لُوکھ ضرور

ثُمَّ اِنَّكُمۡ بَعۡدَ ذٰلِكَ لَمَيِّتُوۡنَ ﴿۱۵﴾ ثُمَّ اِنَّكُمۡ يَوۡمَ الۡقِيٰمَةِ تُبۡعَثُوۡنَ ﴿۱۶﴾

وَلَقَدۡ خَلَقۡنَا فَوۡقَكُمۡ سَبۡعَ طَرَآئِقَ ۖ وَمَا كُنَّا عَنِ الۡخَلۡقِ غٰفِلِيۡنَ ﴿۱۷﴾

وَاَنۡزَلۡنَا مِنَ السَّمَآءِ مَآءًۢ بِقَدَرٍ فَاَسۡكَنّٰهُ فِى الۡاَرۡضِ ۖ وَاِنَّا عَلٰى

ذَهَابٍۢ بِهٖ لَقٰدِرُوۡنَ ﴿۱۸﴾ فَاَنۡشَاۡنَا لَكُمۡ بِهٖ جَنّٰتٍ مِّنۡ نَّخِيۡلٍ وَّ

اَعۡنَابٍ ۘ لَكُمۡ فِيۡهَا فَوَاكِهُ كَثِيۡرَةٌ وَّمِنۡهَا تَاۡكُلُوۡنَ ﴿۱۹﴾ وَشَجَرَةً

تَخۡرُجُ مِنۡ طُوۡرِ سَيۡنَآءَ تَنۡۢبُتُ بِالدُّهۡنِ وَصِبۡغٍ لِّلۡاٰكِلِيۡنَ ﴿۲۰﴾

---

قیامتُک دوہ قبرو منزہ تُلتِ زِندہ کرنہ وَلَقَدۡ خَلَقۡنَا فَوۡقَكُمۡ سَبۡعَ طَرَآئِقَ بیشک بیہِ کرِ پیدہ اَسہِ توہہِ پیٹھ کِن ستھ آسمان، یمن منز ملائکن ہندِ اورہ یُورپکنہ خیطرہ وَتہ چھہ وَمَا كُنَّا عَنِ الۡخَلۡقِ غٰفِلِيۡنَ بیہِ چھنہِ اَسِ پنہ نیو مخلوقو ہندیو مصلحتو نشہِ بے خبر وَاَنۡزَلۡنَا مِنَ السَّمَآءِ مَآءًۢ بِقَدَرٍ فَاَسۡكَنّٰهُ فِى الۡاَرۡضِ بیہِ کورنازِل اَسہِ تہُندِہ بقاء کہ مکمل کرنہ خیطرہ آسمانکہ طرفہ رُوداہ اکہ اندازہ مُوجب، تو پتہ ٹھروو سُو زمینس منز وَاِنَّا عَلٰى ذَهَابٍۢ بِهٖ لَقٰدِرُوۡنَ بیہِ چھہِ اَسی تمہِ آبہ کِس واپس نِنس پیٹھ پُور قدرتہ والِ فَاَنۡشَاۡنَا لَكُمۡ بِهٖ جَنّٰتٍ مِّنۡ نَّخِيۡلٍ وَّاَعۡنَابٍ لَكُمۡ فِيۡهَا فَوَاكِهُ كَثِيۡرَةٌ وَّمِنۡهَا تَاۡكُلُوۡنَ تو پتہ بناو اَسہِ تُہندِہ خیطرہ امہِ رُودہ سیتِ خضر گُلین تہ دَچھہِ اندرواریاہ میوہ یم تُہہ تازہ تازہ کھیوان چھوہ تموی منزہ چھوہ اَڈ میوہ ہوکھ ناوان۔ سُو چھوہ تہُہ غذا بدلہ کھیوان وَشَجَرَةً تَخۡرُجُ مِنۡ طُوۡرِ سَيۡنَآءَ تَنۡۢبُتُ بِالدُّهۡنِ وَصِبۡغٍ لِّلۡاٰكِلِيۡنَ بیہِ کوراَسہِ امی آبہ سیت بیاکھ کُلاہ پیدہ یُس نیران چھُو کوہِ طورہ منزہ (یعنی درختِ زیتون) سُو چھُو زینہ منزہ کھسان تیل ہیتھ۔ بیہِ کھینہ والین ہندِہ خطیرہ سُین ہیتھ۔ یعنی تمکہِ پھلہ منزہ چھہِ دُو شوے مطلب نیران۔ ژانگس تہِ چھُو تمُیک تیل دزان مالش کرنس تہِ چھُو سُو لگان، بیہِ چھُو سِنہِ بدلہ ژوچہِ سیتِ تہِ کھینہ یوان۔ ژوٹ پوان تتھ منز کڑِو تھ کھینہ وَاِنَّ لَكُمۡ فِى الۡاَنۡعَامِ لَعِبۡرَةً بیہِ چھہِ تہُندہ خیطرہ چارواین اندر، یعنی ڈُونٹن، گُپن تہ تیرن اندر غور کرنک موقع نُسۡقِيۡكُمۡ مِّمَّا فِىۡ بُطُوۡنِهَا اَسِ چھہِ دِوان توہہِ چنہ خیطرہ سُو چیز یُس تہند یو شِکمو اَندرہ چھُو نیران یعنے دوَدھ وَلَكُمۡ فِيۡهَا

وَإِنَّ لَكُمْ فِي الْأَنْعَامِ لَعِبْرَةً ۖ نُسْقِيكُمْ مِمَّا فِي بُطُونِهَا وَلَكُمْ فِيهَا
مَنَافِعُ كَثِيرَةٌ وَمِنْهَا تَأْكُلُونَ ﴿٢١﴾ وَعَلَيْهَا وَعَلَى الْفُلْكِ تُحْمَلُونَ ﴿٢٢﴾
وَلَقَدْ أَرْسَلْنَا نُوحًا إِلَىٰ قَوْمِهِ فَقَالَ يَا قَوْمِ اعْبُدُوا اللَّهَ مَا لَكُمْ
مِنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُ ۖ أَفَلَا تَتَّقُونَ ﴿٢٣﴾ فَقَالَ الْمَلَأُ الَّذِينَ كَفَرُوا مِنْ
قَوْمِهِ مَا هَٰذَا إِلَّا بَشَرٌ مِثْلُكُمْ يُرِيدُ أَنْ يَتَفَضَّلَ عَلَيْكُمْ وَلَوْ شَاءَ
اللَّهُ لَأَنْزَلَ مَلَائِكَةً مَا سَمِعْنَا بِهَٰذَا فِي آبَائِنَا الْأَوَّلِينَ ﴿٢٤﴾ إِنْ هُوَ

---

**مَنَافِعُ كَثِيرَةٌ وَمِنْهَا تَأْكُلُونَ** ٻيا به گهڻا ئي ٻيا ڪثرت تمن چارپاين اندر واريا فائده. تهنجو مون، ٻير ته وار ڇوءِ تنهن استعمال ڪرن، ٻيا ڇوءِ تهند ماز کيوان. **وَعَلَيْهَا وَعَلَى الْفُلْكِ تُحْمَلُونَ** ٻيا ڇوءِ اڪه تمن چارپاين پيٺه ٻيا ناون ته جهازن پيٺه سواريوان ڪرنه توهه. **وَلَقَدْ أَرْسَلْنَا نُوحًا إِلَىٰ قَوْمِهِ فَقَالَ يَا قَوْمِ اعْبُدُوا اللَّهَ مَا لَكُمْ مِنْ إِلَٰهٍ غَيْرُهُ أَفَلَا تَتَّقُونَ** پرپاٺ، ٻيا سوزاسه نوح عليه السلام پنه نس قومس ڳن پيغمبر. پس فرموو تمو پنه نس قومس، اي ميانه قومه عبادت ڪرو معبود برحقه سنزي ياڙ. تس وراي ڇهونه معبود برحق آسس لايق ته سزاوار ڪنهي. ڪياه تهه ڇهوه نا تس وراي بيا کهه معبود بناو نس اندر کهو ڙاني **فَقَالَ الْمَلَأُ الَّذِينَ كَفَرُوا مِنْ قَوْمِهِ مَا هَٰذَا إِلَّا بَشَرٌ مِثْلُكُمْ** نوح عليه السلام سنز يه ڪٿه بوز ته دوپ تهنده قومه منزه زڻهيو ڪافر وعام لوڪن ڳن ڪه يه شخص ڇهونه مگر توهي هيوا کهه انساناه، يه پيغمبر يا بزرگ شخصاه ڇهونه **يُرِيدُ أَنْ يَتَفَضَّلَ عَلَيْكُمْ** يه ڇهو يڙهان توهه پيٺه فضيلت حاصل ڪرن، تهند زيٺه بن **وَلَوْ شَاءَ اللَّهُ لَأَنْزَلَ مَلَائِكَةً** هرگاه الله تعالىٰ يڙهه ها پيغمبر سوزن تله سوزه ها سو ملڪس ڪانسه **مَا سَمِعْنَا بِهَٰذَا فِي آبَائِنَا الْأَوَّلِينَ** اسه ڇهنه يمه ڪهه بوز مڙي برونٺهن مالين بڏين نشه **إِنْ هُوَ إِلَّا رَجُلٌ بِهِ جِنَّةٌ** يه ڇهونه مگر خوشيت لد انساناه اکه. تمي ڇهو دنياء ڪين لوڪن خلاف ڪٿه ڪران **فَتَرَبَّصُوا بِهِ حَتَّىٰ حِينٍ** پس پيار وتهه امس اڪس وقتس تان. وڇهوامسند حال ڪياه آسه. اڪه نته اڪه دوهه مره يه. قصه گڙهه ختم **قَالَ رَبِّ انْصُرْنِي بِمَا كَذَّبُونِ** حضرت نوحن ڪور دعا اي ميانه پروردگاره

إِلَّا رَجُلٌۢ بِهِۦ جِنَّةٌ فَتَرَبَّصُوا۟ بِهِۦ حَتَّىٰ حِينٍ ﴿٢٥﴾ قَالَ رَبِّ ٱنصُرْنِى
بِمَا كَذَّبُونِ ﴿٢٦﴾ فَأَوْحَيْنَآ إِلَيْهِ أَنِ ٱصْنَعِ ٱلْفُلْكَ بِأَعْيُنِنَا وَ
وَحْيِنَا فَإِذَا جَآءَ أَمْرُنَا وَفَارَ ٱلتَّنُّورُ ۙ فَٱسْلُكْ فِيهَا مِن كُلٍّ
زَوْجَيْنِ ٱثْنَيْنِ وَأَهْلَكَ إِلَّا مَن سَبَقَ عَلَيْهِ ٱلْقَوْلُ
مِنْهُمْ ۖ وَلَا تُخَٰطِبْنِى فِى ٱلَّذِينَ ظَلَمُوٓا۟ ۖ إِنَّهُم مُّغْرَقُونَ ﴿٢٧﴾
فَإِذَا ٱسْتَوَيْتَ أَنتَ وَمَن مَّعَكَ عَلَى ٱلْفُلْكِ فَقُلِ ٱلْحَمْدُ لِلَّهِ
ٱلَّذِى نَجَّىٰنَا مِنَ ٱلْقَوْمِ ٱلظَّٰلِمِينَ ﴿٢٨﴾ وَقُل رَّبِّ أَنزِلْنِى مُنزَلًا مُّبَارَكًا

---

مہِ کریاری، کیازِہ یمو زونُس بوا پزیُور۔ تمن نشہِ ہہِ زہ اُمیک بدلہ۔ اَسہِ کور تہُند دعا قبول فَاَوْحَيْنَآ اِلَيْهِ اَنِ اصْنَعِ الْفُلْكَ بِاَعْيُنِنَا وَوَحْيِنَا پَس سوز اَسہِ تمن کُن وحی زہ تہُہ بناوِو اکھ ناواہ اَسہِ برونٹھ کِنہ بیہ سانیو ہدایتو موجُب۔ ووَنِ بیہ اکھ طوفاناہ، تہُہ تہ باایمان رٗوزِو تمی ناوِہ ہندہ ذریعہ محفوظ فَاِذَا جَآءَ اَمْرُنَا وَفَارَ التَّنُّوْرُ پَس یلہِ سُون حُکم عذابُک جاری سپدِہ تنورہ منزہ ہیہ آبِ نیرن فَاسْلُكْ فِيْهَا مِنْ كُلٍّ زَوْجَيْنِ اثْنَيْنِ وَاَهْلَكَ پَس والِیو کھ ناوِہ منز پرِیتھ قسمہ کیو جانورو منزہ یم انسانس کار آمد چھہ آسان، اکھ اکھ نر تہ اکھ اکھ مادہ یعنی زیز جانور، بیہ پنُن عیال اِلَّا مَنْ سَبَقَ عَلَيْهِ الْقَوْلُ مِنْهُمْ مگر نہ عیالہ منزہ تم تمن ہندِہ حقہ غرق سپد نک حُکم برونٹھی چھُو کرنہ آمُت یعنی یم کافِر آسن وَلَا تُخَاطِبْنِيْ فِي الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا اِنَّهُمْ مُّغْرَقُوْنَ بیہ کتھ بوزِو وارہ کہ مہِ اَنزِ نہ روبے تمن شخصن ہندِہ حقہ کانہہ کتھ یمو ظُلم کور یعنی کُفر و شرکس پیٹھ رُودِ کیازہ تمن چھُو ضرور پھٹُن فَاِذَا اسْتَوَيْتَ اَنْتَ وَمَنْ مَّعَكَ عَلَى الْفُلْكِ پَس یلہِ وارہ بہوِ تہُہ بیہ تم توہہِ سیتِ چھہ اتھ ناوِہ منز فَقُلِ الْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ نَجّٰىنَا مِنَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ پَس دپزِہ تمہِ ساتہ حمد بُوینِ تَس معبود برحقس یَم اَسہِ نجات دیُت ظالم لُوکن ہنزِ وکامیو نشہِ بیہ تہندہ عذابہ نشہِ وَقُلْ رَّبِّ اَنْزِلْنِيْ مُنْزَلًا مُّبٰرَكًا وَّاَنْتَ خَيْرُ الْمُنْزِلِيْنَ بیہ پرزِہ یمہِ ساتہ یہ

وَّاَنْتَ خَيْرُ الْمُنْزِلِيْنَ ﴿۲۹﴾ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ وَّاِنْ كُنَّا لَمُبْتَلِيْنَ ﴿۳۰﴾
ثُمَّ اَنْشَاْنَا مِنْۢ بَعْدِهِمْ قَرْنًا اٰخَرِيْنَ ﴿۳۱﴾ فَاَرْسَلْنَا فِيْهِمْ رَسُوْلًا
مِّنْهُمْ اَنِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ ۭ اَفَلَا تَتَّقُوْنَ ﴿۳۲﴾ ع وَقَالَ
الْمَلَاُ مِنْ قَوْمِهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَكَذَّبُوْا بِلِقَاۗءِ الْاٰخِرَةِ وَاَتْرَفْنٰهُمْ
فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۙ مَا هٰذَآ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ ۙ يَاْكُلُ مِمَّا تَاْكُلُوْنَ مِنْهُ
وَيَشْرَبُ مِمَّا تَشْرَبُوْنَ ﴿۳۳﴾ ۙ وَلَىِٕنْ اَطَعْتُمْ بَشَرًا مِّثْلَكُمْ ۙ اِنَّكُمْ اِذًا

---

سیلاب تہ یُپ ہمُن ہیہِ تہ وسُن ہیہِ، ای میانہِ پروردگارہ مہِ وال ژہ برکتہ سان کُنہ بابرکت جایہِ پیٹھ۔ ژی چھُوکھ تموسارِوی اَندرہ بہتر یمہِ پتہ نین مہمانن کُنہِ جایہِ عزتہ سان ٹھہراوان چھہِ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ وَّاِنْ كُنَّا لَمُبْتَلِيْنَ یِمِ پاٹھِ یتھ واقعس منز چھہِ سانہ قُدرتک بڈ بڈِ نشانہ عقلہِ والین ہندِ خیطرہ۔ بیشک اَسِ آسِ لوکن یمو نشانو سیت آزمائش کرہ ون۔ ثُمَّ اَنْشَاْنَا مِنْۢ بَعْدِهِمْ قَرْنًا اٰخَرِيْنَ تو پتہ کور پیدہ اَسہِ تمن پتہ بیاکھ قوماہ، تمِ گے قوم عاد یا ثمود فَاَرْسَلْنَا فِيْهِمْ رَسُوْلًا مِّنْهُمْ پَس سوزا اَسہِ تمن منزتہِ پیغمبراہ تموی منزہ یعنی ہُود علیہ السلام یا صالح علیہ السلام اَنِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ اَفَلَا تَتَّقُوْنَ تمِ پیغمبرن فرموو تمن یوہے پیغام کہِ عبادت تہ بندگی کرِو معبود برحقہ سنزی۔ تَس ورای چھُونہ توہہ کُنہی معبود۔ کیاہ تُہہ چھوِہ نا تَس شریک انہ نَس کھوژانی وَقَالَ الْمَلَاُ مِنْ قَوْمِهِ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَكَذَّبُوْا بِلِقَاۗءِ الْاٰخِرَةِ اَمِس پیغمبرہ سنزِ یہ کتھ بُوزِتھ دوپ تہندِہ قومہ کیوزِ ٹھیو، یمو اِنکار کور خدایس، بیہِ آسِ اپُز زانان آخرتہ کِس مُلاقاتس خدایس برونٹھ کُن واتنس وَاَتْرَفْنٰهُمْ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا بیہِ تمن اَسہِ اُوس آرام و آسائش دِژ مژ دنیاچہ زندگی اندر تمے لگِ پانہ وان دپنہِ مَا هٰذَآ اِلَّا بَشَرٌ مِّثْلُكُمْ یہ پیغمبر یعنی حضرتِ ہُود چھُونہ مگر توہی ہُیواکھ اِنساناہ يَاْكُلُ مِمَّا تَاْكُلُوْنَ مِنْهُ وَيَشْرَبُ مِمَّا تَشْرَبُوْنَ کھیوان چھوِہ تمی قسمہ غذا یہ تُہہ کھیوان چھوِہ بیہِ چھوِہ چوان تمِی منزہ یہ تُہہ چوان چھوِہ۔ وَلَىِٕنْ اَطَعْتُمْ بَشَرًا مِّثْلَكُمْ اِنَّكُمْ اِذًا لَّخٰسِرُوْنَ ہرگاہ توہہِ پیروی کُروہ پانَس ہِوس اِنسانَس اَکسِ تلہِ چھوِہ تُہہ نقصان زَدِ واَندرہ بے

لَخٰسِرُوْنَ ﴿٣٤﴾ اَيَعِدُكُمْ اَنَّكُمْ اِذَا مِتُّمْ وَكُنْتُمْ تُرَابًا وَّعِظَامًا اَنَّكُمْ مُّخْرَجُوْنَ ﴿٣٥﴾ هَيْهَاتَ هَيْهَاتَ لِمَا تُوْعَدُوْنَ ﴿٣٦﴾ اِنْ هِيَ اِلَّا حَيَاتُنَا الدُّنْيَا نَمُوْتُ وَنَحْيَا وَمَا نَحْنُ بِمَبْعُوْثِيْنَ ﴿٣٧﴾ اِنْ هُوَ اِلَّا رَجُلُ اِۨفْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا وَّمَا نَحْنُ لَهٗ بِمُؤْمِنِيْنَ ﴿٣٨﴾ قَالَ رَبِّ انْصُرْنِيْ بِمَا كَذَّبُوْنِ ﴿٣٩﴾ قَالَ عَمَّا قَلِيْلٍ لَّيُصْبِحُنَّ نٰدِمِيْنَ ﴿٤٠﴾ فَاَخَذَتْهُمُ الصَّيْحَةُ بِالْحَقِّ فَجَعَلْنٰهُمْ غُثَآءً ۚ فَبُعْدًا لِّلْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٤١﴾ ثُمَّ اَنْشَاْنَا مِنْ بَعْدِهِمْ قُرُوْنًا اٰخَرِيْنَ ﴿٤٢﴾

---

عقل نہ بے وقوف اَيَعِدُكُمْ اَنَّكُمْ اِذَا مِتُّمْ وَكُنْتُمْ تُرَابًا وَّعِظَامًا اَنَّكُمْ مُّخْرَجُوْنَ کیاہ یہوی چھوہ توہہ وعدہ دِوان کہ یلہِ تہہ مرِ و تو پتہ سپدِ واڈجہِ تو پتہ اپو تُہہ زِندہ کرت قبر منزہ بیہ کڈنہ هَيْهَاتَ هَيْهَاتَ لِمَا تُوْعَدُوْنَ تِمِ وعدہ تِم توہہِ سیت کرنہ یِوان چھہِ، تِم چھہِ عقلہِ نشہِ سیٹھاہ دوٗر، سیٹھاہ دور اِنْ هِيَ اِلَّا حَيَاتُنَا الدُّنْيَا یہِ زندگی چھنہ مگر یہے دُنیاء چ سانِ زندگی نَمُوْتُ وَنَحْيَا وَمَا نَحْنُ بِمَبْعُوْثِيْنَ مران چھہِ اَسِ بیہ زِندہ چھہِ روزان اَسِ یتھ دُنیاءس اندر۔ آکہ پھِرِ ہ مرِ تہ چھُونہ اَسہ بیہ زِندہ سپدِ تہ تھودوو تھن اِنْ هُوَ اِلَّا رَجُلُ اِۨفْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا وَّمَا نَحْنُ لَهٗ بِمُؤْمِنِيْنَ یہِ شخص چھُونہ مگر اکھ شخصاہ یم اپز نوورووالله تعالٰی اَس پیٹھ۔ مگر اَسِ اَمِس ایمان انٔ والِ چھنہ کُنہِ صورتس اندر قَالَ رَبِّ انْصُرْنِيْ بِمَا كَذَّبُوْنِ ہُود علیہ السلام مَن مُونگ دُعا، پرور دگار امہِ کریاری تہ مدد۔ یمن نشہِ ہیہ میون بدلہ کیازِہ یمو زوٗنس بو اپز یُور قَالَ عَمَّا قَلِيْلٍ لَّيُصْبِحُنَّ نٰدِمِيْنَ الله تعالٰی ان فرموٗس صبر کرِو۔ جلدے سپدن یم لوکھ اَتھ اِنکارس تہ نافرمانی پیٹھ پشیمان چنانچہ فَاَخَذَتْهُمُ الصَّيْحَةُ بِالْحَقِّ فَجَعَلْنٰهُمْ غُثَآءً پس رٹِ تِم جبریلِ امینہ سنزہ سخت کریکہ یُوسہ پزِ س وعدس موافق تہ مطابق آس۔ پس بناوِ تِم اَسہِ اکھ ژھوٹھاہ یعنی خس و خاشاک یاٗڑھ پامال فَبُعْدًا لِّلْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ پس لعنت بوٗنِ ظالمن، کافرن تہ

مَا تَسْبِقُ مِنْ أُمَّةٍ أَجَلَهَا وَمَا يَسْتَأْخِرُونَ ﴿٤٣﴾ ثُمَّ أَرْسَلْنَا
رُسُلَنَا تَتْرَا كُلَّمَا جَاءَ أُمَّةً رَّسُولُهَا كَذَّبُوهُ فَأَتْبَعْنَا بَعْضَهُم
بَعْضًا وَجَعَلْنَاهُمْ أَحَادِيثَ فَبُعْدًا لِّقَوْمٍ لَّا يُؤْمِنُونَ ﴿٤٤﴾ ثُمَّ
أَرْسَلْنَا مُوسَىٰ وَأَخَاهُ هَارُونَ بِآيَاتِنَا وَسُلْطَانٍ مُّبِينٍ ﴿٤٥﴾
إِلَىٰ فِرْعَوْنَ وَمَلَئِهِ فَاسْتَكْبَرُوا وَكَانُوا قَوْمًا عَالِينَ ﴿٤٦﴾ فَقَالُوا
أَنُؤْمِنُ لِبَشَرَيْنِ مِثْلِنَا وَقَوْمُهُمَا لَنَا عَابِدُونَ ﴿٤٧﴾ فَكَذَّبُوهُمَا

---

نافرمانن ثُمَّ أَنشَأْنَا مِن بَعْدِهِمْ قُرُونًا آخَرِينَ تمہِ پتہ یعنی قوم عاد و ثمود کہِ ہلاک گرِژھنہ پتہ کرہِ اَسہِ واریاہ اُمژ تہ قوم پیدہ مَا تَسْبِقُ مِنْ أُمَّةٍ أَجَلَهَا وَمَا يَسْتَأْخِرُونَ برونٹھ ہیکہ نہ گرِژھت کانہہ قوماہ تہ کانہہ اُمتاہ پنہ نِس ہلاکتہ کِس مقررہ وقتس نہ ہیکہِ پتھ گرِژھت تمہِ نشہِ۔ یتھے پاٹھِ چھو پریتھ کُنہ امتکہ ہلاک گرِژھنہ خیطرہ وقتاہ مقرر کرنہ آمُت۔ الغرض تمہِ اُمژ آیہ گوڈہ پیدہ کرنہ ثُمَّ أَرْسَلْنَا رُسُلَنَا تَتْرَا تو پتہ سوزِ اَسہِ تمن نشہِ پنن پیغمبر پوتُس پتھ ہدایت وارشادہ خیطرہ كُلَّمَا جَاءَ أُمَّةً رَّسُولُهَا كَذَّبُوهُ مگر تہنز حالت سپز یہِ کہِ یلہِ یلہِ کُنہِ قومس نشہِ تہُند خاص پیغمبر واتان اوس خدایہ سندِ احکام ہیتھ تمِ آسِ تس اُبزاتان تہ اِنکار کران۔ فَأَتْبَعْنَا بَعْضَهُم بَعْضًا وَجَعَلْنَاهُمْ أَحَادِيثَ پس گالِ اَسہِ تمِ اکھ اکس پتہ تو پتہ تھاوِہ پتھکُن تہنز ہ کتھے یاژہ تہ قصے یاتِ فَبُعْدًا لِّقَوْمٍ لَّا يُؤْمِنُونَ لعنت بُوینِ تمن لوکن یمِ نہ کُنس خدایس پڑھ گرن تہ ایمان اَنن ثُمَّ أَرْسَلْنَا مُوسَىٰ وَأَخَاهُ هَارُونَ بِآيَاتِنَا وَسُلْطَانٍ مُّبِينٍ * إِلَىٰ فِرْعَوْنَ وَمَلَئِهِ تو پتہ سُوز اَسہِ موسیٰ علیہ السلام بیہِ تہُند برادر ہارُون علیہ السلام پنن آیات تہ سند ہیتھ فرعونس تہ تہندین ارکانِ سلطنتن کُن فَاسْتَكْبَرُوا وَكَانُوا قَوْمًا عَالِينَ پس کور تمو تصدیق و اطاعت کرنہ نشہِ تکبرّ بیہ آسِنہ تمِ مغرور تہ متکبری یاتِ بلکہ آسکھ بنی اسرائیل مغلوب تہ غلام بناوِمت۔ فَقَالُوا أَنُؤْمِنُ لِبَشَرَيْنِ مِثْلِنَا وَقَوْمُهُمَا لَنَا عَابِدُونَ پس لگِ تمِ پانہ وانِ دپنہِ کیاہ اس گروہ پڑھ پانسی ہوین دون انسانن بیہ تمن ہُند قوم سان غلام تہ خدمتگار چھِ فَكَذَّبُوهُمَا فَكَانُوا مِنَ الْمُهْلَكِينَ پس یلہِ تموتہِ

فَكَانُوا مِنَ الْمُهْلَكِينَ ﴿٤٨﴾ وَلَقَدْ آتَيْنَا مُوسَى الْكِتَابَ لَعَلَّهُمْ يَهْتَدُونَ ﴿٤٩﴾ وَجَعَلْنَا ابْنَ مَرْيَمَ وَأُمَّهُ آيَةً وَآوَيْنَاهُمَا إِلَىٰ رَبْوَةٍ ذَاتِ قَرَارٍ وَمَعِينٍ ﴿٥٠﴾ يَا أَيُّهَا الرُّسُلُ كُلُوا مِنَ الطَّيِّبَاتِ وَاعْمَلُوا صَالِحًا ۖ إِنِّي بِمَا تَعْمَلُونَ عَلِيمٌ ﴿٥١﴾ وَإِنَّ هَٰذِهِ أُمَّتُكُمْ أُمَّةً

---

تِمن دُون پیغمبرن اِنکار کور، تمِ تہِ زانکھِ اپزِ زیر، پَس سپدِ تمِ تہِ گلہ ونیو تہ ہلاک سپدہ ونیو اَندرہ وَلَقَدْ آتَيْنَا مُوسَى الْكِتَابَ لَعَلَّهُمْ يَهْتَدُونَ تہندِہ ہلاک گژھنہ پتہ دِژ اَسہِ یہ کتاب یعنی تورات موسیٰ علیہ السلامَس یُتھ تمِ لُوکھ تمِ باقی رُودِ ہدایت لَبن وَجَعَلْنَا ابْنَ مَرْيَمَ وَأُمَّهُ آيَةً وَآوَيْنَاهُمَا إِلَىٰ رَبْوَةٍ ذَاتِ قَرَارٍ وَمَعِينٍ بیہِ کراسہِ پنہ نِس کمالِ قدرتس بیہِ پنہ نِس وحدانیتَس پیٹھ دلالت کرنہ خیطرہ بیہِ بنی اسرائیلن ہندِہ ہدایتہ خیطرہ مریم علیہا السلامہ سُند فرزند عیسیٰ علیہ السلام بیہِ تہنز والدہ ماجدہَ بڈ دلیل عیسیٰ علیہ السلام یمہِ اعتبارہ کہِ تمِ کرِ اسہِ بے پدر پیدہ۔ مریم علیہا السلام یمہِ اعتبارہ کہ سُوکَر اسہِ خاوندس یا بیہِ کانسہِ انسانَس نزدیک سپدنہ ورای حاملہ تہ بچہِ دار۔ یہِ چُھو یمن دوشنِ ہندِہ خیطرہ بوڈ نشانہ۔ چونکہ عیسیٰ علیہ السلامس متعلق اُوس سُون اِرادہ پیغمبر بناوُن۔ مگر اتھ شہر شامَس اندر اوس اکھ ظالم پادشہایَس ناو اوس ہیر دوس۔ تَس اوس نجومیو وونمُت کہ عیسیٰ علیہ السلامس سپدِ سرداری عطا۔ سُو پادشاہ اوس لوکچارہ پیٹھے تہنُد دشمن سُپد مُت۔ سُو اوس تمن قتل کرنہ خیطرہ آمادہ سُپد مت تمہِ موکھ دیُت اسہِ تمن تہ تہندِس والدہ ماجدس پناہ اکس تھزِہ جایہِ پیٹھ۔ یُوسہ جای میوہ بکثرت آسنہ مُوکھ بسَنس تہ قرار کرنَس لایق آس۔ بیہِ تمہِ منزہ دریاو جاری آسنہ موکھ، سرسبز وشاداب جایاہ آس۔ یُوتان تمِ (عیسیٰ علیہ السلام) امن وامانَس اندر جوان سپدِ۔ توپتہ آو تمن نبوت عطا کرنہ۔ تمس ظالم پادشہہ سندِہ مرنہ پتہ آیہِ مریم علیہا السلام مصرہ پیٹھ بیہِ واپس شہر شامس کُن۔ ماءِ معین چھہِ ونان رود نیلہِ ہندِس آبس۔ يَا أَيُّهَا الرُّسُلُ كُلُوا مِنَ الطَّيِّبَاتِ وَاعْمَلُوا صَالِحًا ۖ إِنِّي بِمَا تَعْمَلُونَ عَلِيمٌ اسہِ یتھ پاٹھِ برونٹھی نعمژ استعمال کرنک توہہِ اجازت دیُت بیہِ عبادت کرنک حُکم کور، یتھے پاٹھِ فرموو اسہِ سارنی پیغمبران،

وَّاحِدَةً وَّاَنَا رَبُّكُمْ فَاتَّقُوْنِ ﴿۵۲﴾ فَتَقَطَّعُوْٓا اَمْرَهُمْ بَيْنَهُمْ زُبُرًا ۭ
كُلُّ حِزْبٍۢ بِمَا لَدَيْهِمْ فَرِحُوْنَ ﴿۵۳﴾ فَذَرْهُمْ فِيْ غَمْرَتِهِمْ حَتّٰى
حِيْنٍ ﴿۵۴﴾ اَيَحْسَبُوْنَ اَنَّمَا نُمِدُّهُمْ بِهٖ مِنْ مَّالٍ وَّبَنِيْنَ ﴿۵۵﴾ نُسَارِعُ
لَهُمْ فِي الْخَيْرٰتِ ۭ بَلْ لَّا يَشْعُرُوْنَ ﴿۵۶﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ هُمْ مِّنْ خَشْيَةِ

---

تهندِ ذریعہ تهنز ن اُمتن ای پیغمبر وکھیو تہٕ تهندِ اُمتی رتِ رت چیز۔ خدایہ سنزہ نعمژ۔ تمیک پھَل تہٕ رُت ثمرہ عطا وَاِنَّ هٰذِهٖٓ اُمَّتُكُمْ اُمَّةً وَّاحِدَةً وَّاَنَا رَبُّكُمْ فَاتَّقُوْنِ یمہِ طریقک اسہِ بیان کوریے چھ تهنز طریق یتھ پیٹھ توہہِ روزُن چھُو واجب تہٕ ضروری۔ سو چھ اَکے طریق۔ حاصِل تہٕ خلاصہ تمہِ طریقک چھُو کہ بُو چھُوس تهند پروردگار، تهند مالک حقیقی، بیہ منعم حقیقی۔ لہذا اکھو ژِومے یُوت، میانین حکمن هنز مَہ کرِو مخالفت تمن پیغمبرن هنزن اُمتن شوبہ ہااتھ اکسی طریقس پیٹھ مضبوط روزن مگر تمو کورنہ تہٕ فَتَقَطَّعُوْٓا اَمْرَهُمْ بَيْنَهُمْ زُبُرًا كُلُّ حِزْبٍۢ بِمَا لَدَيْهِمْ فَرِحُوْنَ بلکہ کور تمو پنہٕ نِس دینس منز الگ الگ وتہ کڈِت اختلاف پیدہ۔ چنانچہ تمن منز یمہ جماژ ازتہٕ موجود چھ، پریتھ جماعتس نشہٕ یُس یُس دیناہ چھو سُو چھُو تتھ پیٹھ خوش تہٕ راضی۔ باطِل آسکہ باوجود چھُو تتھ زانان پوز۔ فَذَرْهُمْ فِيْ غَمْرَتِهِمْ حَتّٰى حِيْنٍ پَس تراو یوکھ تہٕ یارسول اللہ پنہٕ نِس جہالتہ کِس حالس پیٹھ۔ کانہہ غم مہ برٕو، تهندس اکس خاص وقتس تانِ۔ یعنی تهندہ مرنہ کِس وقتس تانِ۔ یلہِ سُو وقت واتہ تمہِ ساتہ سپدہ تمن ساری حقیقت معلوم۔ وئن یُس یمن پیٹھ جلد عذاب نازِل چھُونہ سپدان، کیاہ امہ سیت چھا لوک یہ خیال کران کہ اس یُو سیہ تمن مال واولاد تہٕ بیہ دولت عطا کران چھ، اس ماچھہِ تمن جلد جلد تہٕ وَلِ وَلِ فائدہ واتناوان، اسہِ ماچھہ تهنز مَنہٕ کامن۔ یہ کتھ چھنہ ہرگز تمن لُوکن چھُونہ امیک وجھی معلوم۔ امیک وجہ چھُو استدراج یعنی تهنز ناو گو براونِ۔ یلہِ ناو گو بیکھ، یکدم پھٹن تم۔ غرض امیک انجام چھو سیٹھاہ کرُوٹھ اَيَحْسَبُوْنَ اَنَّمَا نُمِدُّهُمْ بِهٖ مِنْ مَّالٍ وَّبَنِيْنَ کیاہ تمن چھا گمان کہ اَسِ یُس تمن دیارتہ گبر دوان چھہِ نُسَارِعُ لَهُمْ فِي الْخَيْرٰتِ بیہ چھہِ اَسِ تمن جلد جلد خیر واتناوان نہ سو چھنہ حقیقت بَلْ لَّا يَشْعُرُوْنَ بلکہ چھونہ

رَبِّهِمْ مُّشْفِقُوْنَ ﴿۵۷﴾ وَالَّذِيْنَ هُمْ بِاٰيٰتِ رَبِّهِمْ يُؤْمِنُوْنَ ﴿۵۸﴾
وَالَّذِيْنَ هُمْ بِرَبِّهِمْ لَا يُشْرِكُوْنَ ﴿۵۹﴾ وَالَّذِيْنَ يُؤْتُوْنَ مَآ اٰتَوْا وَّ
قُلُوْبُهُمْ وَجِلَةٌ اَنَّهُمْ اِلٰى رَبِّهِمْ رٰجِعُوْنَ ﴿۶۰﴾ اُولٰٓئِكَ يُسٰرِعُوْنَ
فِى الْخَيْرٰتِ وَهُمْ لَهَا سٰبِقُوْنَ ﴿۶۱﴾ وَلَا نُكَلِّفُ نَفْسًا اِلَّا وُسْعَهَا
وَلَدَيْنَا كِتٰبٌ يَّنْطِقُ بِالْحَقِّ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ ﴿۶۲﴾ بَلْ قُلُوْبُهُمْ فِىْ
غَمْرَةٍ مِّنْ هٰذَا وَلَهُمْ اَعْمَالٌ مِّنْ دُوْنِ ذٰلِكَ هُمْ لَهَا عٰمِلُوْنَ ﴿۶۳﴾

---

یِمن فِکری تران امہ منز کیاہ چھُو سون مطلب کہ یہ تہٕ چھہ سانہ طرفہ اکھ آزمائیشاہ اِنَّ الَّذِیْنَ هُمْ مِّنْ
خَشْیَةِ رَبِّهِمْ مُّشْفِقُوْنَ پزپاٹھِ یِتھ منز چھونہ کانہہ شک کہ یم پنہ نِس پروردگارس سندہ ہیبتہ تہٕ خوفہ
سببہ نٹان چھہٕ وَالَّذِیْنَ هُمْ بِاٰیٰتِ رَبِّهِمْ یُؤْمِنُوْنَ یم پنہ نِس پروردگارہ سندین آیاتن پڑھ چھہٕ کران
وَالَّذِیْنَ هُمْ بِرَبِّهِمْ لَا یُشْرِكُوْنَ بیہ یِم اتھ ایمانس منز پنہ نس پروردگارس شریک چھنہٕ ٹھہراوان
وَالَّذِیْنَ یُؤْتُوْنَ مَآ اٰتَوْا وَّ قُلُوْبُهُمْ وَجِلَةٌ بیہ یِم خدایہٕ سنزہٕ وتہٕ کینہہ دِوان چھہٕ، یُوت پلان چھُوکھ
تُیوت مگر تتھ منز تہٕ چھک دِل نٔٹہِ منز آسان۔ اَنَّهُمْ اِلٰی رَبِّهِمْ رٰجِعُوْنَ بیشک چھُو تِمن واتُن پنہ نِس
پروردگارس نشہٕ۔ خبر چھا سُو کریا یہ سُون مال خرچ کرُن قبول کنہٕ نہ اُولٰٓئِكَ یُسٰرِعُوْنَ فِی الْخَیْرٰتِ تیمے
کیاہ گے تم لُوکھ یِم نیکین منز جلدی کران چھہٕ وَهُمْ لَهَا سٰبِقُوْنَ بیہ یِم نیکین گُن برونٹھ واتہٕ وِنِ چھہٕ
وَلَا نُكَلِّفُ نَفْسًا اِلَّا وُسْعَهَا بیہ چھنہ اَس کانسہِ اِکس تکلیف دِوان تہٕ عباد تُک بُور کھاران۔ مگر تژی ہَن
یڑی ہَن لَس بُتر تہٕ طاقت آسہِ وَلَدَیْنَا كِتٰبٌ یَّنْطِقُ بِالْحَقِّ وَهُمْ لَا یُظْلَمُوْنَ کیازہ اسہِ نشہٕ چھُو اکھ دفتر،
کتاباہ، یعنی نامہ اعمال محفوظ یُس پُوز پُوز سورُوی باوہ۔ بیہ یِہ نہ لُوکن کُنہِ قسمہ ظلم کرنہ۔ خیرہ کس اِکس
اِکس ذرس پیٹھ لیہ تِمن ثواب عطا کرنہ۔ یہ اوس حال باایمانن ہُند مگر کافرن ہُند حال چھُونہ یِتھ بَلْ قُلُوْبُهُمْ
فِیْ غَمْرَةٍ مِّنْ هٰذَا وَلَهُمْ اَعْمَالٌ مِّنْ دُوْنِ ذٰلِكَ هُمْ لَهَا عٰمِلُوْنَ بلکہ اتھ برعکس چھہٕ تہندِ دِل یِمہ دینہ
نشہٕ جہالتس تہٕ شکس منز پیمت۔ بیہٕ چھہ تِمن اَمہِ جہالتہ ورای تہٕ بیہ ییچھ عملہ یِمہ عملہ تِم بدستور چھہٕ

حَتّٰٓى اِذَآ اَخَذْنَا مُتْرَفِيْهِمْ بِالْعَذَابِ اِذَا هُمْ يَجْــَٔرُوْنَ ﴿۶۴﴾ لَا تَجْــَٔرُوا الْيَوْمَ ۣ اِنَّكُمْ مِّنَّا لَا تُنْصَرُوْنَ ﴿۶۵﴾ قَدْ كَانَتْ اٰيٰتِيْ تُتْلٰى عَلَيْكُمْ فَكُنْتُمْ عَلٰٓى اَعْقَابِكُمْ تَنْكِصُوْنَ ﴿۶۶﴾ مُسْتَكْبِرِيْنَ ۖۗ بِهٖ سٰمِرًا تَهْجُرُوْنَ ﴿۶۷﴾ اَفَلَمْ يَدَّبَّرُوا الْقَوْلَ اَمْ جَاۤءَهُمْ مَّا لَمْ يَاْتِ اٰبَاۤءَهُمُ الْاَوَّلِيْنَ ﴿۶۸﴾ اَمْ لَمْ يَعْرِفُوْا رَسُوْلَهُمْ فَهُمْ لَهٗ مُنْكِرُوْنَ ﴿۶۹﴾ اَمْ يَقُوْلُوْنَ بِهٖ جِنَّةٌ ۭ بَلْ جَاۤءَهُمْ بِالْحَقِّ وَاَكْثَرُهُمْ لِلْحَقِّ كٰرِهُوْنَ ﴿۷۰﴾ وَلَوِ اتَّبَعَ الْحَقُّ اَهْوَاۤءَهُمْ

---

کران۔ حَتّٰٓى اِذَآ اَخَذْنَا مُتْرَفِيْهِمْ بِالْعَذَابِ اِذَا هُمْ يَجْــَٔرُوْنَ تا اینکہ یلہِ تموٚ اَندرہ خوشحال لوکھ عذابس گرفتار کروکھ اَسِ تِمن نشہِ نوکر چاکر چھہِ غریب غُرباء تہٕ عام لوکن ہنز چھہنہ کتھی۔ غرض یلہِ تِمن سارنی پیٹھ عذاب نازِل سپدہِ تانِ ہین تمِ کریکہ ناد کرُن۔ اَس دپوٚکھ لَا تَجْــَٔرُوا الْيَوْمَ اِنَّكُمْ مِّنَّا لَا تُنْصَرُوْنَ مہٕ تُلِواز کریکہ ناد۔ تموٚ کریگو سیتِ بنیوٚ نہ کینہہ۔ توہہِ ییہِ نہ ہرگز سانہ طرفہ مدد کرنہ۔ کیازِہ تہٕ گوٚہ ناتِہ قَدْ كَانَتْ اٰيٰتِيْ تُتْلٰى عَلَيْكُمْ فَكُنْتُمْ عَلٰٓى اَعْقَابِكُمْ تَنْكِصُوْنَ * مُسْتَكْبِرِيْنَ بِهٖ سٰمِرًا تَهْجُرُوْنَ پڑ پاٹھِ دُنیاءس منز آس میان آیات توہہِ پیٹھ پرنہٕ یوان حضراتِ انبیاءن ہندہِ ذریعہ۔ تہٕ آسوٚہ پوت پُوتوی ژلان۔ بکمال تکبر آسوِہ رات کیُت اتھ قرآن مجیدس خلاف بکواس کرتھ ییہ بوزنہ نشہِ دُور روزان۔ کانہہ اوس ونان تتھ شعر کانہہ اوس ونان تتھ سحر۔ اَفَلَمْ يَدَّبَّرُوا الْقَوْلَ اَمْ جَاۤءَهُمْ مَّا لَمْ يَاْتِ اٰبَاۤءَهُمُ الْاَوَّلِيْنَ کیاہ تموِ کورنا یتھ قرآن مجیدس منز غور تہٕ فکر۔ تمِہ فکر گرہَن پانَے تگِہ ہکھ بوزُن امیُک معجزہ وچھت انہ ہن ایمان کنہِ یمنی نشہ ووت نووا کھ چیز اہ یُس نہ تہندین مالین بُڈِ بَن نشہِ ووتُمت اوس۔ امی چھہِ اتھ اِنکار کران اَمْ لَمْ يَعْرِفُوْا رَسُوْلَهُمْ فَهُمْ لَهٗ مُنْكِرُوْنَ کِنہ تمِ زانی نہ پیغمبرس پننہ نس تمِن چھنہ خبری تہندہ امانت ودیانچ، راست گوئی ہنز تمی چھہ تَس اِنکار کران اَمْ يَقُوْلُوْنَ بِهٖ جِنَّةٌ کِنہ تمِ چھہِ ونان امِس پیغمبرس چھُو جنون۔ تموٚ کتھو اَندرہ چھَنہ کنہی کتھ۔ تمِ ساری آسِ متفقہ طور تہندہِ صدق وامانتکِ تہٕ دیانتکِ قائل بیہِ اُوس تمِن اِتفاق کہ تمِن برابر چھُونہ صاحبِ عقل کانہہ تہٕ بَلْ جَاۤءَهُمْ

لَفَسَدَتِ السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ وَمَنْ فِيْهِنَّ ۭ بَلْ اَتَيْنٰهُمْ بِذِكْرِهِمْ فَهُمْ عَنْ ذِكْرِهِمْ مُّعْرِضُوْنَ ﴿٧١﴾ اَمْ تَسْـَٔــلُهُمْ خَرْجًا فَخَــرَاجُ رَبِّكَ خَيْرٌ ڰ وَّهُوَ خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ ﴿٧٢﴾ وَاِنَّكَ لَتَدْعُوْهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿٧٣﴾ وَاِنَّ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ عَنِ الصِّرَاطِ لَنٰكِبُوْنَ ﴿٧٤﴾ وَلَوْ رَحِمْنٰهُمْ وَكَشَفْنَا مَا بِهِمْ مِّنْ ضُرٍّ لَّـلَجُّوْا فِيْ طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُوْنَ ﴿٧٥﴾ وَلَقَدْ اَخَذْنٰهُمْ بِالْعَذَابِ فَمَا اسْتَكَانُوْا لِرَبِّهِمْ

---

بِالْحَقِّ وَاَكْثَرُهُمْ لِلْحَقِّ كٰرِهُوْنَ بلڪ ڇھو اصلي وجھ ڪہ ھي پيغمبر آءُ تن وٽ پڙ ڪتي ھيٿ، مگر تن مان گھڻن اڪثر لوڪن پر ڇي نفرت. تمي ڇھنہ قبول تہ تسليم ڪران وَلَوِ اتَّبَعَ الْحَقُّ اَهْوَآءَهُمْ لَفَسَدَتِ السَّمٰوٰتُ وَالْاَرْضُ وَمَنْ فِيْهِنَّ ھيہ ھر گاہ پوز تابع روزہ تھنزن خواھشن تلہ گرڇھن آسمان وزمين تباہ و برباد ھيہ تم ساري تم تمن منز روزان ڇھ. ڪيازِ ھر گاہ تہ لبنہ ھيہ ھلہ پوز ڪيا روزِہ ھا تابع تھنزن خواھشن تيلہ سپدِہ ھا سوروي عالم پُر ڪفر و شرڪ سيت عالمس منز پھيلہ ھا گمراہي. تميڪ نتيجہ نيرہ ھا اللہ تعالیٰ سُند غضب ايہ ھا بجوش، آسمان وزمين بيہ يم تمن منز روزان ڇھ گڇھہ ھن ھلاڪ تہ برباد بَلْ اَتَيْنٰهُمْ بِذِكْرِهِمْ بلڪ آيي اَسِ تمن نش نصيحت تہ نفيح ڪتھ ھيٿ فَهُمْ عَنْ ذِكْرِهِمْ مُّعْرِضُوْنَ مگر تم ڇھ پننہ فائدچہ ڪتھ نشہ تہ بُتھ پھران تہ روگرداني ڪران اَمْ تَسْـَٔــلُهُمْ خَرْجًا فَخَــرَاجُ رَبِّكَ خَيْرٌ وَّهُوَ خَيْرُ الرّٰزِقِيْنَ تڪذيبہ ڪين برو نٿھين وجھن علاوہ ڇھو يہ بياکھ وجھ ڪہ تمن ڇھو شُبہ تہ انديشہ ڪہ تُہہ ماڇھوہ تمن نشِ دينِ حق واتناونہ خيطرہ ڪينہ معاوضہ ژھانڈان. توھہ ڪياہ آس تچ ضرورت توھہ يُس معاوضہ خدايہ سندہ طرفہ حاصل سپدہ ڈن ڇھو. سُوي ڇھو سيٺھاہ بھتر رُوزي دنہ ڈول وَاِنَّكَ لَتَدْعُوْهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ پزپاٹھ تُہہ ڇھوہ تمن راہ راستس، سيزِہ وَتہ گُن نادِ دوان وَاِنَّ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ عَنِ الصِّرَاطِ لَنٰكِبُوْنَ پزپاٹھ تمن نہ آخرتچ پڙھ ڇھ تم ڇھہ سيزہ وَتہ نشہ پتھ ژلان وَلَوْ رَحِمْنٰهُمْ وَكَشَفْنَا مَا بِهِمْ مِّنْ ضُرٍّ لَّـلَجُّوْا فِيْ طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُوْنَ بيہ ھر گاہ اَسِ تمن پيٹھ رحم ڪرِ تھ، تمن يُس تڪليف ڇھو سُو دُور تہ ڪرو، توتہ روزن تم

وَمَا يَتَضَرَّعُوْنَ ﴿٧٦﴾ حَتّٰىٓ اِذَا فَتَحْنَا عَلَيْهِمْ بَابًا ذَا عَذَابٍ شَدِيْدٍ
اِذَا هُمْ فِيْهِ مُبْلِسُوْنَ ﴿٧٧﴾ وَهُوَ الَّذِيْٓ اَنْشَاَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْاَبْصَارَ
وَالْاَفْـِٕدَةَ ۭ قَلِيْلًا مَّا تَشْكُرُوْنَ ﴿٧٨﴾ وَهُوَ الَّذِيْ ذَرَاَكُمْ فِي
الْاَرْضِ وَاِلَيْهِ تُحْشَرُوْنَ ﴿٧٩﴾ وَهُوَ الَّذِيْ يُحْيٖ وَيُمِيْتُ
وَلَهُ اخْتِلَافُ الَّيْلِ وَالنَّهَارِ ۭ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿٨٠﴾ بَلْ قَالُوْا
مِثْلَ مَا قَالَ الْاَوَّلُوْنَ ﴿٨١﴾ قَالُوْٓا ءَاِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا

---

بدستور پنهنجي سرڪشي ۽ گمراهيءَ اندر اوره يور ڪران **وَلَقَدْ اَخَذْنٰهُمْ بِالْعَذَابِ فَمَا اسْتَكَانُوْا لِرَبِّهِمْ وَمَا يَتَضَرَّعُوْنَ** پڙپاٽ اُنهن اگر تم گرفتار ڪرو ڪه عذابن پس ڪرنه تمو پنهنجي خدا ايس ڪن عاجزي، نه ڪو رُکه زاره پاره تُس **حَتّٰىٓ اِذَا فَتَحْنَا عَلَيْهِمْ بَابًا ذَا عَذَابٍ شَدِيْدٍ اِذَا هُمْ فِيْهِ مُبْلِسُوْنَ** تا اينکه يله اسه تمن ڪن مُڙرو سخت عذابک دروازه اتي سپڊ تم تته اندر حيران **وَهُوَ الَّذِيْٓ اَنْشَاَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْاَبْصَارَ وَالْاَفْـِٕدَةَ قَلِيْلًا مَّا تَشْكُرُوْنَ** سُو معبود برحق گو سُوي تِم توهہ ڪن اُچهہِ ۽ دِل پيده ڪرِ۔ يُته تهہ آرام ۽ ڪرِ وبيهِ دِينس ڪن ۽ خيال تهاوِ مگر سيٺهاه ڪم چهوه تهہ تمن نعمڙن پيٺه شُڪرگُذاري ڪره ونِ۔ ڪيازه اصل شڪرگُذاري گئے يه تُس مُنعم حقيقي سُند پسنديده دين اختيار ڪرُن۔ بيه پڙه گرنِ ڪهِ تُسِ چهہ قدرت مرنه پته بيهِ زِنده ڪرنس پيٺه۔ **وَهُوَ الَّذِيْ ذَرَاَكُمْ فِي الْاَرْضِ وَاِلَيْهِ تُحْشَرُوْنَ** بيهِ گو سُو پروردگار سُوي تِم تهہ زمينس منز چهڪروه۔ بيهِ ايوُ تهہ ساري قيامتک دوه تُس نشهِ سونبرنه ۽ جمع ڪرنه تِمي دوهہ ڪياوِ چهو تهہ اَمهِ ڪُفران نعمت ڪرنک مزه **وَهُوَ الَّذِيْ يُحْيٖ وَيُمِيْتُ وَلَهُ اخْتِلَافُ الَّيْلِ وَالنَّهَارِ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ** بيهِ گو سُوپروردگار سُوي يُس سارِني زِنده ڪران چهو بيهِ يُس ماران چهو۔ بيهِ چهو تُسِ، يعني تهندِ سي اختيارس منز راتُک ۽ دُهک بُن گڙهُن، ڙهوٺُن ۽ زيٺهُن۔ ڪياه توهہ چهنا ايڙهن ۽ فِڪره تران۔ يمهِ دليله چهہ توحيدس ۽ قيامتس پيٺه دلالت ڪران مگر توتہ چهنهِ تِم مانان **بَلْ قَالُوْا مِثْلَ مَا قَالَ الْاَوَّلُوْنَ** بلڪه چهہ وَنان تِمے ڪٿه يمهِ ڪٿه برونٺهميو ڪافر وَنهِ **قَالُوْٓا ءَاِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَّعِظَامًا ءَاِنَّا لَمَبْعُوْثُوْنَ**

وَّعِظَامًا ءَاِنَّا لَمَبۡعُوۡثُوۡنَ ﴿۸۲﴾ لَقَدۡ وُعِدۡنَا نَحۡنُ وَاٰبَآؤُنَا هٰذَا
مِنۡ قَبۡلُ اِنۡ هٰذَاۤ اِلَّاۤ اَسَاطِيۡرُ الۡاَوَّلِيۡنَ ﴿۸۳﴾ قُلۡ لِّمَنِ الۡاَرۡضُ
وَمَنۡ فِيۡهَاۤ اِنۡ كُنۡتُمۡ تَعۡلَمُوۡنَ ﴿۸۴﴾ سَيَقُوۡلُوۡنَ لِلّٰهِ ؕ قُلۡ اَفَلَا
تَذَكَّرُوۡنَ ﴿۸۵﴾ قُلۡ مَنۡ رَّبُّ السَّمٰوٰتِ السَّبۡعِ وَرَبُّ الۡعَرۡشِ
الۡعَظِيۡمِ ﴿۸۶﴾ سَيَقُوۡلُوۡنَ لِلّٰهِ ؕ قُلۡ اَفَلَا تَتَّقُوۡنَ ﴿۸۷﴾ قُلۡ مَنۡۢ
بِيَدِهٖ مَلَكُوۡتُ كُلِّ شَىۡءٍ وَّهُوَ يُجِيۡرُ وَلَا يُجَارُ عَلَيۡهِ اِنۡ

---

تمو دوپ کياه اُسِ يله مَر وَ توپته سپَد وَاُسِ ميش ته اڙجهِ کياه تمهِ پته تموه اُسِ بيهِ زنده کرِ تهه قبرو منزه ٹلنه لَقَدۡ وُعِدۡنَا نَحۡنُ وَاٰبَآؤُنَا هٰذَا مِنۡ قَبۡلُ اِنۡ هٰذَاۤ اِلَّاۤ اَسَاطِيۡرُ الۡاَوَّلِيۡنَ ئيز ياٹھِ وعده آو کرنه اسهِ سيتِ اَميک بيهِ سانين مالين بڑين سيتِ تمهِ برونٹھ ته۔ يهِ چھونه کينه ته مگر برو نتھين لوکن هنزه اَپزه ته بے گنڈکتھ ته قصه تمِ نقل چھِ يوان کرنه قُلۡ فرماويو کهِ تهه يارسول الله لِّمَنِ الۡاَرۡضُ وَمَنۡ فِيۡهَاۤ اِنۡ كُنۡتُمۡ تَعۡلَمُوۡنَ هرگاه تُهه کينه زانان چھوه تلهِ ونتو زمين بيه تمِ مخلوق اتھ منز چھِ تمِ کهندِ چھِ۔ سَيَقُوۡلُوۡنَ لِلّٰهِ تمِ ونن ضرور يُوهے جواب کهِ يهِ سورُوي چھو خدايه سُند قُلۡ اَفَلَا تَذَكَّرُوۡنَ تهه فرماويُو کهِ اده کونه چھوه غور ته تأمل کران، يَس قدرت ته والس يهِ توگ پيده کرُن تَس نشهِ کياه عجائب چھو تهه مشرِت بيه پيده کرُن قُلۡ مَنۡ رَّبُّ السَّمٰوٰتِ السَّبۡعِ وَرَبُّ الۡعَرۡشِ الۡعَظِيۡمِ تهه پرژھيوک ستن آسمانن ته عرشِ عظيمک مالک کُهه چھو۔ سَيَقُوۡلُوۡنَ لِلّٰهِ جواب دِن تمِ کهِ تمهِ ساره کوي مالک چھو الله تعالیٰ قُلۡ اَفَلَا تَتَّقُوۡنَ تهه فرماويو کهِ اده کونه چھوه تَس کھوژان اده کتھ پاٹھِ چھوه تهه تهندِس قدرتَس، تهندين آياتن، آخر تَس برونٹھ کُن واتنس اِنکار کران قُلۡ مَنۡۢ بِيَدِهٖ مَلَكُوۡتُ كُلِّ شَىۡءٍ وَّهُوَ يُجِيۡرُ وَلَا يُجَارُ عَلَيۡهِ اِنۡ كُنۡتُمۡ تَعۡلَمُوۡنَ تهه پرِژھتوک کُس اَتھِ چھو پرِيتھ چيزک اختيار رسوُيَس يژهان چھو تَس چھو پناه دِوان۔ تَس مُقابله هيکهِ نه تَس نشهِ کانهه اکھاه کانسه اَکس پناه دِت ۔ هرگاه توهِه کينهه معلوم چھو سَيَقُوۡلُوۡنَ لِلّٰهِ جواب دِين تمِ کهِ تمِ ساري صِفت چھِ خدايس يُوت

كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿٨٨﴾ سَيَقُوْلُوْنَ لِلّٰهِ ۭ قُلْ فَاَنّٰى تُسْحَرُوْنَ ﴿٨٩﴾
بَلْ اَتَيْنٰهُمْ بِالْحَقِّ وَاِنَّهُمْ لَكٰذِبُوْنَ ﴿٩٠﴾ مَا اتَّخَذَ اللّٰهُ مِنْ
وَّلَدٍ وَّمَا كَانَ مَعَهٗ مِنْ اِلٰهٍ اِذًا لَّذَهَبَ كُلُّ اِلٰهٍۢ بِمَا خَلَقَ
وَلَعَلَا بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ ۭ سُبْحٰنَ اللّٰهِ عَمَّا يَصِفُوْنَ ﴿٩١﴾ عٰلِمِ
الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ فَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُوْنَ ﴿٩٢﴾ قُلْ رَّبِّ اِمَّا
تُرِيَنِّيْ مَا يُوْعَدُوْنَ ﴿٩٣﴾ رَبِّ فَلَا تَجْعَلْنِيْ فِي الْقَوْمِ

---

قُلْ فَاَنّٰى تُسْحَرُوْنَ تہٕ فرمادیوکھ ادہ کتہِ چھو توہہِ پیٹھ جود آمُت کرنہ۔ تہٕ چھوہ مخبوطُ الحواس
سپدِ مت۔ توہہِ چھونہ فِکرہ تران کینہہ۔ تِمہِ سارے کتھ چھوہ مانان مگر اصلیچ کتھ چھوہ نہ مانان۔ سُو گو
توحید تہٕ مرنہ پتہٕ بیہِ زِندہ سپُدن بَلْ اَتَيْنٰهُمْ بِالْحَقِّ وَاِنَّهُمْ لَكٰذِبُوْنَ بلکہ واتناوا سہٕ تِمن نشہِ پزکتھ۔
مگر اپزیرِ چھہِ تِم پانہ تِمن چھوکھنہ پُزویژان تہٕ برداشت سپدان مَا اتَّخَذَ اللّٰهُ مِنْ وَّلَدٍ وَّمَا كَانَ مَعَهٗ مِنْ
اِلٰهٍ اِذًا لَّذَهَبَ كُلُّ اِلٰهٍۢ بِمَا خَلَقَ وَلَعَلَا بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ اللہ تعالیٰ ان چھونہ کانہہ شخص نِچو بنو وُمت۔
بیہِ چھونہ تَس سیت بیاکھ معبوداہ۔ ہرگاہ تہِ آسہا تیلہِ نیہِ ہا پریتھ معبوداہ تتھ یہِ تِم پیدہ کرمُت آسہا۔ بیہِ
آسہن تِم اکھ اکس پیٹھ حملہ کرِتھ اکھ اکسندِ مخلوقات زبردستی سیتِ نوان۔ مخلوقات آسہن تباہ و بُرباد
سپدِمتِ۔ چونکہِ نظامِ عالم چھو بدستور قائم اَمہِ اندرہ سپُد ثابت کہِ سُو چھو منزہ تہٕ پاک شریک آسنہ نشہِ
سُبْحٰنَ اللّٰهِ عَمَّا يَصِفُوْنَ بلکہ چھو سُو منزہ تہٕ پاک تِمو سارِوی کتھو نشہِ یِمہِ تِس کُن لوک لاگان چھہِ عٰلِمِ
الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ فَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُوْنَ سُو چھو زانہ ؤن سورُوی پُوشیدہ تہٕ نون۔ تَس نشہِ چھونہ
پُوشیدے کینہہ پس چھو سُو سیٹھاہ بُلند تہٕ تھود تِمہِ شِرکہ نشہِ یُس تِس کُن لُوکھ لاگان چھہ۔ قُلْ رَّبِّ اِمَّا
تُرِيَنِّيْ مَا يُوْعَدُوْنَ تہٕ منگو خدایس ای میانہ پروردگارہ ژہ مہِ ہاوکھ سُو عذاب یُمیک تِمن وعدہ
تھاونہ یوان چھو یعنی میانی زندگی منز کرکھ تِمن پیٹھ عذاب نازِل رَبِّ فَلَا تَجْعَلْنِيْ فِي الْقَوْمِ
الظّٰلِمِيْنَ ای میانہِ پروردگارہ یُتھنہ مہِ تھاوکھ تِمہِ وقتہ ظالِمن سیتِ شامِل وَاِنَّا عَلٰٓى اَنْ نُّرِيَكَ مَا

الظّٰلِمِينَ ﴿٩٤﴾ وَإِنَّا عَلٰٓى أَن نُّرِيَكَ مَا نَعِدُهُمْ لَقٰدِرُونَ ﴿٩٥﴾
ٱدْفَعْ بِٱلَّتِى هِىَ أَحْسَنُ ٱلسَّيِّئَةَ ۚ نَحْنُ أَعْلَمُ بِمَا يَصِفُونَ ﴿٩٦﴾
وَقُل رَّبِّ أَعُوذُ بِكَ مِنْ هَمَزٰتِ ٱلشَّيٰطِينِ ﴿٩٧﴾ وَأَعُوذُ بِكَ
رَبِّ أَن يَحْضُرُونِ ﴿٩٨﴾ حَتّٰىٓ إِذَا جَآءَ أَحَدَهُمُ ٱلْمَوْتُ قَالَ رَبِّ
ٱرْجِعُونِ ﴿٩٩﴾ لَعَلِّىٓ أَعْمَلُ صٰلِحًا فِيمَا تَرَكْتُ ۚ كَلَّآ ۚ إِنَّهَا كَلِمَةٌ هُوَ

---

نَعِدُهُمْ لَقٰدِرُونَ بيهِ ڇهِ اُنِ بيشڪ توهِ سُو عذاب ڏاوڻس پيٺهِ قُدرت وارا آهيون ته جيڪو عذاب اُنهن کي ڏيڻ جو اُنهن وعدو ڪيو ويو آهي ، سو توکي ڏيکاريون . يعني توکي اسان ان گالهه تي قدرت رکون ٿا ته جيڪو عذاب ڏيڻ جو انهن سان وعدو آهي توکي ڏيکاريون . يعني اهو عذاب ڪافرن جي قسمت ۾ لکيل آهي .

نَعِدُهُمْ لَقٰدِرُونَ بيهِ ڇهِ اُسِ بيشڪ توهِ سُو عذاب هاونس پيٺهِ قُدرتهِ وال ـ يمهِ عذابُک اُسِ تمن وعده تھاون چھِ ـ يُوتانِ نه تمن پيٺهِ سُو عذاب نازل سپده توتان تھاوِتُهه تمن سيت اِتهه پاٹھ معامله که
ٱدْفَعْ بِٱلَّتِى هِىَ أَحْسَنُ ٱلسَّيِّئَةَ تهنزِ ه بدی هُند مدافعه آسوِتُهه کران ـ تهِ ورتاوِه سيت يُس سيٹھاه رُت تهِ نرم آسه پنهِ ذاتهِ خيطره مه آسو تمن بَدلهِ هيوان بلکه آسو معامله اَسهِ سُپرد کران ـ نَحْنُ أَعْلَمُ بِمَا يَصِفُونَ اسه چھُو پُور معلوم تمِ کياه چھِ ونان توهِ نسبت ـ اگر بمقتضائے بشريت توهِ کُته بوزنه سيتِ ژکھ آسهِ کھسان تهُند گژھهِ تمهِ ساته پرن يه دُعا ـ وَقُل رَّبِّ أَعُوذُ بِكَ مِنْ هَمَزٰتِ ٱلشَّيٰطِينِ * وَأَعُوذُ بِكَ رَبِّ أَن يَحْضُرُونِ ای ميانهِ پروردگاره بُو چھُس پناه منگان شيطانن هنديو وَسوَسو نشهِ بيهِ چھُس پناه منگان ميانهِ پروردگار تهندِ ه ميه نکھِ ينهِ نشه تمِ مهِ واتناوان ترِشن کامهِ گُن يُوسه مُصلحتس خِلاف آسهِ ـ بيهِ روزن نه پنهِ کفر وانکاره نشهِ پته ـ يه دُعا پرنه سيتِ آسهِ توهِ سو ژکھ دُور سپدان حَتّٰىٓ إِذَا جَآءَ أَحَدَهُمُ ٱلْمَوْتُ قَالَ رَبِّ ٱرْجِعُونِ پته رُودِ کافر تمن بنهِ نه کينهه يوتان نه تمن اَندره کانسهِ مرنک وقت واتهِ ، آخر تُک معاينه هيهِ شرُوع سپُدن تمهِ ساته ينِ تَس اَچھ مُژراونه جهلس ته کفرس پيٺهِ سپده نادِم ته پشيمان ـ مرِت وَنهِ سُو کافر ، پروردگارامهِ سوزته بيه دُنياءس گُن واپس لَعَلِّىٓ أَعْمَلُ صٰلِحًا فِيمَا تَرَكْتُ يُته بورژه عمله گره دُنياءس اندريُس مهِ پته گُن تروو ـ ملائکن هندِه ذريعه پيَس اته درخواستس ردّ کرنه ـ دپنه پيَس كَلَّآ تهِ بنهِ نه هرگز ـ يعني دُنياءس گُن واپس گژهُن چھُو ناممکن إِنَّهَا كَلِمَةٌ هُوَ قَآئِلُهَا بيشک يه چھه سو کته يُوسه اَمِس وَنی چھه ـ اَته وَنه نس چھُونه اَميه نِش اعتباری کينهه وَمِن وَرَآئِهِم بَرْزَخٌ إِلٰى

قَآئِلُهَا ۖ وَمِن وَرَآئِهِم بَرْزَخٌ إِلَىٰ يَوْمِ يُبْعَثُونَ ﴿١٠٠﴾ فَإِذَا نُفِخَ فِي الصُّورِ فَلَآ أَنسَابَ بَيْنَهُمْ يَوْمَئِذٍ وَلَا يَتَسَآءَلُونَ ﴿١٠١﴾ فَمَن ثَقُلَتْ مَوَازِينُهُۥ فَأُولَٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ ﴿١٠٢﴾ وَمَنْ خَفَّتْ مَوَازِينُهُۥ فَأُولَٰٓئِكَ الَّذِينَ خَسِرُوٓا أَنفُسَهُمْ فِي جَهَنَّمَ خَٰلِدُونَ ﴿١٠٣﴾ تَلْفَحُ وُجُوهَهُمُ النَّارُ وَهُمْ فِيهَا كَٰلِحُونَ ﴿١٠٤﴾ أَلَمْ تَكُنْ ءَايَٰتِي تُتْلَىٰ عَلَيْكُمْ فَكُنتُم بِهَا تُكَذِّبُونَ ﴿١٠٥﴾ قَالُوا

---

يَوْمِ يُبْعَثُونَ تمن پتہ چھُواکھ پرداہ تہ ٹھوراکھ تتھ دوہس تانِ یمہِ دوہہ بیہ تمِ دُوبارہ زِندہ کرنہ ین۔ ڈُنہٕ کیاہ ڈچھ تمو۔ مَرنہ سیت بانبرے تمِ یوت۔ بُتھ چھُو تمن عالم برزخ یوان۔ توت واتھ روزن تمِ پردس منز دُنیا کین لُوکن نشہٕ۔ آخرت تہٕ واتہ نہ تمن برونٹھ کُن البتہ آخرتکہٕ عذابُک کم پہَن نمونہ ولتہٕ تمن برونٹھ کُن یمیک مزہ تلان روزن قیامتس تانِ فَإِذَا نُفِخَ فِي الصُّورِ فَلَآ أَنسَابَ بَيْنَهُمْ يَوْمَئِذٍ وَلَا يَتَسَآءَلُونَ پتہ یلہِ قیامت سپدہ پھوکھ یِیہ دِنہ پُوغس منز تمہِ ساتہ سپدن تمِ تتھس خوفس تہٕ ہیبتس گرفتارکہٕ سورُوی مشکھ تمن منز یم اکھ اکس رِشتہ دار آسن، تمِ رِشتہ روزن نہ کُنہِ تہٕ یعنی کانہہ کرِہ نہ کانسہِ ہنز ہمدردی۔ زن تمِ ڈپرڈپر آسن۔ نہ آسہِ کانہہ کانسہِ پرژھان۔ غرض تمہِ دوہہ نہ اِیہِ رشتہ داری بکار نہ دوستی بس تمہِ دوہہ اِیہِ بکار فقط ایمان یمہِ خیطرہ قائم یِیہ کرنہ اکھ ترکراہ، یتھ منز ایمان و عمل یِیہ تولنہ فَمَن ثَقُلَتْ مَوَازِينُهُۥ فَأُولَٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ یمسِندہ ایمانک تہٕ نیکین ہُند ترِکرِہ پوٗتر گوب لگہ تمے چھہِ کامیاب تہٕ رستگار وَمَنْ خَفَّتْ مَوَازِينُهُۥ فَأُولَٰٓئِكَ الَّذِينَ خَسِرُوٓا أَنفُسَهُمْ فِي جَهَنَّمَ خَٰلِدُونَ یمن ہندِہ ایمان و عملہِ ہُند ترکرِہ پوٗتر لوت آسہِ پَس تمے گئے تمِ یمو پانِ پانس نقصان تہٕ تاوان واتنوہ۔ تمِ آسن جہنمس منز ہمیشہ تَلْفَحُ وُجُوهَهُمُ النَّارُ وَهُمْ فِيهَا كَٰلِحُونَ زالہ نار جہنم تہندین بُتھین ہیر یُوم ڈٗٹھ واتیکھ کلس تانِ۔ بونیُوم ڈٗٹھ واتیکھ تُونس تانِ تمے آسن تتھ نار جہنمس منز سخت بدشکل۔ تمن یِیہ وننہ أَلَمْ تَكُنْ ءَايَٰتِي تُتْلَىٰ عَلَيْكُمْ فَكُنتُم بِهَا تُكَذِّبُونَ کیاہ توہہِ پیٹھ آسِ نامیانِ آیات پرنہ یوان۔

رَبَّنَا غَلَبَتْ عَلَيْنَا شِقْوَتُنَا وَكُنَّا قَوْمًا ضَآلِّيْنَ ﴿١٠٦﴾ رَبَّنَآ
اَخْرِجْنَا مِنْهَا فَاِنْ عُدْنَا فَاِنَّا ظٰلِمُوْنَ ﴿١٠٧﴾ قَالَ اخْسَئُوْا فِيْهَا
وَلَا تُكَلِّمُوْنِ ﴿١٠٨﴾ اِنَّهٗ كَانَ فَرِيْقٌ مِّنْ عِبَادِيْ يَقُوْلُوْنَ
رَبَّنَآ اٰمَنَّا فَاغْفِرْ لَنَا وَارْحَمْنَا وَاَنْتَ خَيْرُ الرّٰحِمِيْنَ ﴿١٠٩﴾ ج صلے
فَاتَّخَذْتُمُوْهُمْ سِخْرِيًّا حَتّٰٓى اَنْسَوْكُمْ ذِكْرِيْ وَكُنْتُمْ مِّنْهُمْ
تَضْحَكُوْنَ ﴿١١٠﴾ اِنِّيْ جَزَيْتُهُمُ الْيَوْمَ بِمَا صَبَرُوْٓا اَنَّهُمْ هُمُ

---

توپتہ آسوہ تہہ تمن اُہز زانتھ اِنکار کران۔ یہ چُھو تمگوی سزا قَالُوْا رَبَّنَا غَلَبَتْ عَلَيْنَا شِقْوَتُنَا وَكُنَّا قَوْمًا ضَآلِّيْنَ تم دپن ای سانہِ پروردگارہ اَسِ چھِ اقرار کران پنہ نس جُرمس۔ اَسِ آس وٚلمتِ شقاوتن۔ بیہ آس اَسِ واقعی وَتہ نشہِ ڈلمتِ۔ اَسِ چھِ درخواست کران۔ رَبَّنَآ اَخْرِجْنَا مِنْهَا فَاِنْ عُدْنَا فَاِنَّا ظٰلِمُوْنَ ای سانہِ پروردگار اَسہِ کڈ تہ امہِ جہنمہ اَندرہ توپتہ سوزتہ بیہ دُوبارہ دُنیاءس کُن۔ تو پتے اَسِ دوبارہ نافرمانی کرِ وَتیلہ چھِ اَسِ واقعی ظالم۔ تمہِ وقتہ گژھہِ اَسہِ پُور سزا دِیُن قَالَ اخْسَئُوْا فِيْهَا وَلَا تُكَلِّمُوْنِ اللہ تعالیٰ فرماویکھ۔ دَفع گژھِوا تھ جہنمس منز دِزومہِ سیت مہ کرِو کتھے۔ اَسِ کرونہ تہُند درخواست منظور۔ توہہِ چُھنا یاد اِنَّهٗ كَانَ فَرِيْقٌ مِّنْ عِبَادِيْ يَقُوْلُوْنَ رَبَّنَآ اٰمَنَّا فَاغْفِرْ لَنَا وَارْحَمْنَا وَاَنْتَ خَيْرُ الرّٰحِمِيْنَ تہہ گوہ ناتَے کہ میانیو بندو اَندرہ آس اکھ جماعتھاہ یم بچارِ عرض کران آسِ اے سانہِ پَروردگارہ اَسہِ اُون ایمان پَس کر اَسہِ مغفرت بیہ کر اَسہِ پیٹھ رَحم۔ ژی چھوکھ ساروی اَندرہ سیٹھاہ رحم کرہ وُن فَاتَّخَذْتُمُوْهُمْ سِخْرِيًّا پَس کوروہ توہہِ اَتھ کتھہِ یُوسہِ قابلِ قدر آس ٹھٹھہ۔ تمِ ٹھٹھس لایق تمنی پیٹھ لگوہ تُہہ ٹسنہ کرنہِ تتھ سیتِ رُودِوہ تہہ مشغول حَتّٰٓى اَنْسَوْكُمْ ذِكْرِيْ یُوتانِ تمو کتھو توہہِ میون یادتہِ مشروو ہوہ وَكُنْتُمْ مِّنْهُمْ تَضْحَكُوْنَ بیہ آسوہ تہہ تمِ وچھتِ اَسان تمو کورتتھ تُہندِس تکلیفس پیٹھ صبر اِنِّيْ جَزَيْتُهُمُ الْيَوْمَ بِمَا صَبَرُوْٓا اَنَّهُمْ هُمُ الْفَآئِزُوْنَ ئیزِ پاٹھِ مہ کر عطا تمن از تمہِ صبرچ مزُورِ۔ بیشک تمے سپد کامیاب قٰلَ كَمْ لَبِثْتُمْ فِى الْاَرْضِ عَدَدَ سِنِيْنَ اللہ تعالیٰ

الْفَآئِزُوْنَ ﴿١١١﴾ قٰلَ كَمْ لَبِثْتُمْ فِى الْاَرْضِ عَدَدَ سِنِيْنَ ﴿١١٢﴾
قَالُوْا لَبِثْنَا يَوْمًا اَوْ بَعْضَ يَوْمٍ فَسْـَٔلِ الْعَآدِّيْنَ ﴿١١٣﴾
قٰلَ اِنْ لَّبِثْتُمْ اِلَّا قَلِيْلًا لَّوْ اَنَّكُمْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿١١٤﴾
اَفَحَسِبْتُمْ اَنَّمَا خَلَقْنٰكُمْ عَبَثًا وَّاَنَّكُمْ اِلَيْنَا لَا تُرْجَعُوْنَ ﴿١١٥﴾
فَتَعٰلَى اللّٰهُ الْمَلِكُ الْحَقُّ ۚ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۚ رَبُّ الْعَرْشِ
الْكَرِيْمِ ﴿١١٦﴾ وَمَنْ يَّدْعُ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ ۙ لَا بُرْهَانَ

---

قَالُوْا لَبِثْنَا يَوْمًا اَوْ بَعْضَ يَوْمٍ هو موجب ورِ اندر زمينس رُوده كالس كيتس تهه كافرن تمن پڑهناوِه پڑهِ يا
تم ڏِين اَسِ رُودِ دو هس يا اڏس دوهس اسهِ ڇهونه پُوره ياد. فَسْـَٔلِ الْعَآدِّيْنَ اَسهِ
ڇهنه كينهه خبر تُهه پڑهو عُمرن هُند حساب تهوه نين ملائكن قٰلَ اِنْ لَّبِثْتُمْ اِلَّا قَلِيْلًا لَّوْ اَنَّكُمْ كُنْتُمْ
تَعْلَمُوْنَ الله تعالىٰ فرماو يكه تهه رُودونه مگر كم سي كالس. هر گاه تهه تي زانهو دُنياءس اندر كه دُنيائس منزها
ڇهو كمسي كالس روزُن اسهِ. تته بدَل آسوِه تهه زانان يُتوي ڇهو سو رُوري بيهِ نه كينهه اَفَحَسِبْتُمْ اَنَّمَا
خَلَقْنٰكُمْ عَبَثًا وَّاَنَّكُمْ اِلَيْنَا لَا تُرْجَعُوْنَ كياه توهِ اُوسه گُمانه كهِ اسِ كياه كروِوه تهه پيده بے معنى گِندناه.
بيهِ كياه اِيونه تُهه اَسهِ كُن وَاپس اننه. فَتَعٰلَى اللّٰهُ الْمَلِكُ الْحَقُّ پس سيٹهاه بالا ته برتر ڇهو الله تعالىٰ.
سُوي ڇهو بادشاه پزپاٹھِ. تمِ كورنه بے معنى ته بے هُوده كانهه چيز پيده لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ رَبُّ الْعَرْشِ
الْكَرِيْمِ كانهه معبود اه ڇهونه تَس وراىٔ سُو ڇهو مالك عرشِ عظيمُك وَمَنْ يَّدْعُ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا
اٰخَرَ لَا بُرْهَانَ لَهٗ بِهٖ فَاِنَّمَا حِسَابُهٗ عِنْدَ رَبِّهٖ بيهِ يُس اكهاه سمهِ دليله آستھ خدائس سيتِ بيهِ
كانسهِ معبود سنز عبادت گرِه يتھ پيٹھ نه كانهه دليلي ڇهه تمسُند حساب ڇهونه مگر تهندِس پروردگارس نشهِ
اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الْكٰفِرُوْنَ بيشك كامياب سپدن نه كافر بلكه روزن تم ابد الآباد عذابس اندر گرفتار وَقُلْ

لَهٗ بِهٖ ۙ فَاِنَّمَا حِسَابُهٗ عِنْدَ رَبِّهٖ ؕ اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الْكٰفِرُوْنَ ﴿۱۱۷﴾
وَقُلْ رَّبِّ اغْفِرْ وَارْحَمْ وَاَنْتَ خَيْرُ الرّٰحِمِيْنَ ﴿۱۱۸﴾ ع

---

رَّبِّ اغْفِرْ وَارْحَمْ وَاَنْتَ خَيْرُ الرّٰحِمِيْنَ ای پیغمبر تہہ آسوُ دُعا کران تہ منگان ای میلنہِ پروردگارہ مغفرت گرمہ۔ بیہ گرمہِ پیٹھ رحم، معاشس اندر تہ، توفیق طاعتس اندر تہِ، نجات آخرتس اندر تہِ۔ عطاے جنتّس اندر تہ۔ پیٹھ رحم، معاشس اندر تہ۔ ژی چھوک ساروی رحم کرن وانیو اندرہ زیادہ رَحم کرہ وُن



## سُوْرَةُ النُّوْرِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

سُوْرَةٌ اَنْزَلْنٰهَا وَفَرَضْنٰهَا وَاَنْزَلْنَا فِيْهَاۤ اٰيٰتٍۭ بَيِّنٰتٍ لَّعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ ۝١ اَلزَّانِيَةُ وَالزَّانِيْ فَاجْلِدُوْا كُلَّ وَاحِدٍ مِّنْهُمَا مِائَةَ جَلْدَةٍ ۪ وَّلَا تَاْخُذْكُمْ بِهِمَا رَاْفَةٌ فِيْ دِيْنِ اللّٰهِ اِنْ كُنْتُمْ تُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ ۚ وَلْيَشْهَدْ عَذَابَهُمَا طَآئِفَةٌ مِّنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ۝٢ اَلزَّانِيْ لَا يَنْكِحُ اِلَّا زَانِيَةً اَوْ مُشْرِكَةً ۫ وَّ

---

سُوْرَةٌ اَنْزَلْنٰهَا وَفَرَضْنٰهَا وَاَنْزَلْنَا فِيْهَاۤ اٰيٰتٍۭ بَيِّنٰتٍ لَّعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ یہِ چھُو اکھ سُوراہ اکھ یمِک الفاظ اسی نازِل کرِ۔ بیہِ کرِ اسی نازِل تمِک معانی یعنی احکام بیہِ کرِ اسی تتھ اندر واضح تہٕ صاف صاف آیات نازِل یُتھ تہٕ تمِ آیات زانوتہٕ مانو اَلزَّانِيَةُ وَالزَّانِيْ فَاجْلِدُوْا كُلَّ وَاحِدٍ مِّنْهُمَا مِائَةَ جَلْدَةٍ زنا کرہ وٕنِ زنانہ زِنا کرہ وٕن مرد، پریتھ اکس تموٚ اَندرہ لایِو اکھ ہَت دُرّہ ہرگاہ تِم نیتھرہ واری آسَن وَّلَا تَاْخُذْكُمْ بِهِمَا رَاْفَةٌ فِيْ دِيْنِ اللّٰهِ توہہِ گژھہ نہٕ تمن دوٚن پیٹھ خدایہ سندس مُعاملس اندر اکھ ذرّہ تہِ رحم یُن۔ یمہِ سیتِ تِم تراوِہو کھ یا سزا ءس منز کمی کرِ ہوکھ اِنْ كُنْتُمْ تُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ چھوِے تہٕ پڑھ کران اللہ تعالیٰ اس تہٕ پتمس دوٚہس یعنی قیامتس۔ کیازہ دوشون پیٹھ ایمان تہٕ پڑھ آسن چھُ منگان۔ اللہ تعالیٰ سندِس حُکمس گژھہِ تعمیل سپدن وَلْيَشْهَدْ عَذَابَهُمَا طَآئِفَةٌ مِّنَ الْمُؤْمِنِيْنَ بیہِ سپدن حاضِر تہندِس اَتھ سزا ءس جماعتھا اکھ باایمانن ہنز۔ یہِ سزا چھو تمن دون مجرمن یم آزاد، عاقِل تہٕ بالغ بیہِ اَنھاری آسَن یمِ غلام آسن تمن پنژاہ دُرہ۔ تِم نہٕ عاقِل یا بالغ آسَن تمِ چھنہٕ مُکلّفی۔ تِم نکاحہ وال آسَن۔ تہُند سزا چھُو رجم، سنگساری۔ یعنی تیژہ گنہٕ لاینہٕ یموسیتِ تِم مرَن۔ اَلزَّانِيْ لَا يَنْكِحُ اِلَّا زَانِيَةً

الزَّانِيَةُ لَا يَنۡكِحُهَاۤ اِلَّا زَانٍ اَوۡ مُشۡرِكٌ‌ ۚ وَحُرِّمَ ذٰ لِكَ عَلَى
الۡمُؤۡمِنِيۡنَ ③ وَالَّذِيۡنَ يَرۡمُوۡنَ الۡمُحۡصَنٰتِ ثُمَّ لَمۡ يَاۡتُوۡا
بِاَرۡبَعَةِ شُهَدَآءَ فَاجۡلِدُوۡهُمۡ ثَمٰنِيۡنَ جَلۡدَةً وَّلَا تَقۡبَلُوۡا لَهُمۡ
شَهَادَةً اَبَدًا‌ ۚ وَاُولٰٓـئِكَ هُمُ الۡفٰسِقُوۡنَ ۙ④ اِلَّا الَّذِيۡنَ تَابُوۡا
مِنۡۢ بَعۡدِ ذٰ لِكَ وَاَصۡلَحُوۡا‌ ۚ فَاِنَّ اللّٰهَ غَفُوۡرٌ رَّحِيۡمٌ ⑤ وَالَّذِيۡنَ
يَرۡمُوۡنَ اَزۡوَاجَهُمۡ وَلَمۡ يَكُنۡ لَّهُمۡ شُهَدَآءُ اِلَّاۤ اَنۡفُسُهُمۡ
فَشَهَادَةُ اَحَدِهِمۡ اَرۡبَعُ شَهٰدٰتٍۭ بِاللّٰهِ‌ ۙ اِنَّهٗ لَمِنَ الصّٰدِقِيۡنَ ⑥

---

اَوۡ مُشۡرِكَةً وَّ الزَّانِيَةُ لَا يَنۡكِحُهَاۤ اِلَّا زَانٍ اَوۡ مُشۡرِكٌ وَحُرِّمَ ذٰ لِكَ عَلَى الۡمُؤۡمِنِيۡنَ زاني يعني زناه ڪرڻ وارو مرد
ڇُونه نڪاح ڪرن مگر زناڪار زناني سيت يا مُشرِڪ زناني سيت. ۽ زناڪار زناني ڇڻه نيٺ ڪران مگر زِناڪار
مردس سيت يا مُشرڪ مَردس سيت. يِه ڇُھو حرام آمُت ڪرنه با ايمانن پيٺھ. وَالَّذِيۡنَ يَرۡمُوۡنَ
الۡمُحۡصَنٰتِ ثُمَّ لَمۡ يَاۡتُوۡا بِاَرۡبَعَةِ شُهَدَآءَ فَاجۡلِدُوۡهُمۡ ثَمٰنِيۡنَ جَلۡدَةً وَّلَا تَقۡبَلُوۡا لَهُمۡ شَهَادَةً اَبَدًا بيه تِم
لُوڪھ بدڪاري هنز ھانژھ لاگن پاڪ دامَن زنانَن توپته ڪرن نه تِم پيش ژور گواه پنه نِس دعويٰ اَس پيٺھ پَس لاي
تِهنه تِمن لُوڪن شيٺھ دُرّه تتھ ڇھ ونان حد قذف بيه مه ڪرِوُڪنه معاملس اندر تهنز شهادت آينده زَنهه تِه قُبول يِه ته
ڇُھو تهنده حقه اکھ حد١ه وَاُولٰٓـئِكَ هُمُ الۡفٰسِقُوۡنَ تِمَ ڪياه گئے فاسِق. تِمن آسه آخر تَس منز ته سزا فاسِق
ته نافرمان آسنه مُوڪھ اِلَّا الَّذِيۡنَ تَابُوۡا مِنۡۢ بَعۡدِ ذٰ لِكَ وَاَصۡلَحُوۡا فَاِنَّ اللّٰهَ غَفُوۡرٌ رَّحِيۡمٌ مگر تِم
لُوڪھ توبه ڪرن اَمِه تهمت لاگنه پته خدايس برونٺھ ڪنه بيه سنبھالن پنن حالت، تتھ صور تَس اندر ڇھوالله
تعاليٰ بيشڪ سيٺھاه مغفرت ڪرهٕون وَالَّذِيۡنَ يَرۡمُوۡنَ اَزۡوَاجَهُمۡ وَلَمۡ يَكُنۡ لَّهُمۡ شُهَدَآءُ اِلَّاۤ اَنۡفُسُهُمۡ
بيه تِم لُوڪھ ھانژه لاگن پنه نين منڪوحه زنانن بدڪاري هنز توپته آسنکھ تتھ پيٺھ ژور گواه کينهه تِه فَشَهَادَةُ
اَحَدِهِمۡ اَرۡبَعُ شَهٰدٰتٍۭ بِاللّٰهِ اِنَّهٗ لَمِنَ الصّٰدِقِيۡنَ پَس ڇھه تِمو اَندره پرِيتھ اکِ سنز گواهي يِه ڪه سُو دِپه ژوره

وَالْخَامِسَةُ اَنَّ لَعْنَتَ اللّٰهِ عَلَيْهِ اِنْ كَانَ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ ۝۷ وَيَدْرَؤُا عَنْهَا الْعَذَابَ اَنْ تَشْهَدَ اَرْبَعَ شَهٰدٰتٍۭ بِاللّٰهِ ۙ اِنَّهٗ لَمِنَ الْكٰذِبِيْنَ ۝۸ وَالْخَامِسَةَ اَنَّ غَضَبَ اللّٰهِ عَلَيْهَاۤ اِنْ كَانَ

---

پھرِ ہ خدلیہ سُند قسم ہاوِت کہ بیشک سُو چھُو پنہ نِس دعوٰے اَس اندر پز زیور **وَالْخَامِسَةُ اَنَّ لَعْنَتَ اللّٰهِ عَلَيْهِ اِنْ كَانَ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ** بیہ ونہ پنیُزِ مہِ لٹہِ کہ بیشک چھہ تس پیٹھ خدلیہ سنز لعنت ہر گاہ سُو اپُز ونہِ ونیو اندرہ چھو **وَيَدْرَؤُا عَنْهَا الْعَذَابَ اَنْ تَشْهَدَ اَرْبَعَ شَهٰدٰتٍۭ بِاللّٰهِ اِنَّهٗ لَمِنَ الْكٰذِبِيْنَ** بیہ سپدِ ہ تس زنانہِ نشہِ یِس ہانژھ آس آمژ لاگنہ عذاب یعنی سزاءِ حبس، یا حدِ زناء دُوریلہِ سو ژورہ پھرِ ہ قسم ہاوِت گواہی دِیہ کہ یہ مرد چھو یقیناً اپُز ونان **وَالْخَامِسَةَ اَنَّ غَضَبَ اللّٰهِ عَلَيْهَاۤ اِنْ كَانَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ** بیہ وَنہِ سو زنانہ پینژ مہِ لٹہ کہ بیشک چھُو غضب خدا تس پیٹھ ہر گاہ یہِ مرد پوز ونان چھُو۔ امہِ طریقہ ونہ ناوس چھہِ ونان لعان یہِ لعان چھُو سپدان تتھ صور تس اندر کہ خاوند لاگہ تہمت پنہ زنانہ زناء چ۔ یچس متعلق ونیس یہِ چھُوی نہ میون۔ پنہ منکوحہ زنانہِ تہمت زناء لاگنہ سیت ین خاوندس نشہِ ژور گواہ منگنہ۔ ہر گاہ تم ژور گواہ پیش کر تیلہ یِیہ زنانہ پیٹھ حد زنا جاری کرنہ۔ اگر ژور گواہ ہیکنہ تم پیش کرِ تھ تیلہِ یِیہ ونہ تس ژہ کر یم الفاظ بیان۔ ہر گاہ تمِ یم الفاظ بیان کرِ نہ تیلہ یِیہ سُو قید کرنہ تس یِیہ وننہ کہ یا کر ژہ پنہ نِس اپزیور آسنس اقرار نتہ وَن یمِ الفاظ۔ ہر گاہ تمِ پنہ نِس اپزیور آسنس اقرار کور تیلہ یِیہ تس حد قذف دِنہ۔ ہر گاہ تمِ یم الفاظ وَنِ تیلہ ین زنانہ نشہِ تہ دویمہ قسمک الفاظ ونہ ناونہ۔ ہر گاہ سو یمِ الفاظ وننہ نشہِ اِنکار کرِہ تیلہ یِیہ سو قید کرنہ تس پیٹھ یِیہ جبر کرنہ کہ یا کر ژہ مردَس تصدیق یا وَن یمِ الفاظ ہر گاہ تمہِ مردس تصدیق کُور تس یِیہ تیلہِ حدّ زِنا دِنہ۔ ہر گاہ سو یمِ الفاظ ونہ نَس پیٹھ راضی سپز تیلہ ین تمِ الفاظ تسندِ ہ چانٹہ ونہ ناونہ۔ ییلہِ مردَن تہ وَنِ یمِ الفاظ یم تَس ونن آسَن، زنانہ تہِ وَنِ تمِ الفاظ یم تَس وننِ آسَن یمن دون منز سپُد لعان واقع، تہند نکاح ژھیون۔ اَمِس مردَس چھُونہ جائز اَمِس زنانہ سیتِ صحبت کرنِ یا تھپ کرنِ۔ یم ساری چیز سپدِ اَمِس پیٹھ حرام تو پتہ ہر گاہ اَمِس زنانہِ طلاق دِیہ تہ گو جان۔ ورنہ کرِہ قاضِ یمن دوَن منز تفریق یعنی جُدائی ہُند حُکم۔ امہِ جدائی ہُند حُکم چھُو طلاق بائین۔ اَمِس مردَس چھُونہ اَمِس زنانہ سیتِ زانہہ نکاح کرُن جائیز مگرے ونہِ مرد کہ مہ وون اپُز تیلہ ایہ اَمِس مردَس حدّ

مِنَ الصّٰدِقِيۡنَ ﴿۹﴾ وَلَوۡلَا فَضۡلُ اللّٰهِ عَلَيۡكُمۡ وَرَحۡمَتُهٗ وَاَنَّ اللّٰهَ تَوَّابٌ حَكِيۡمٌ ﴿۱۰﴾ اِنَّ الَّذِيۡنَ جَآءُوۡ بِالۡاِفۡكِ عُصۡبَةٌ مِّنۡكُمۡ ؕ لَا

قذف دِنہ۔ تمہ پتہ چھُو تمن دون پانہ وان نکاح کرُن جایز۔ وَلَوۡلَا فَضۡلُ اللّٰهِ عَلَيۡكُمۡ وَرَحۡمَتُهٗ وَاَنَّ اللّٰهَ تَوَّابٌ حَكِيۡمٌ بیہ ہر گاہ نہ توہہ پیٹھ خدایہ سُند فضل تہ رحمت آسہا، سُونتر اوہ ہا حقیقت حال۔ تمِ کرِپنہٕ فضل ورحمتہ سیتِ توہہ پردہ پوشی۔ یُہ پاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو سیٹھاہ توبہ قبول کرہ وُن، سیٹھاہ حکمتہ ڈول اِنَّ الَّذِيۡنَ جَآءُوۡ بِالۡاِفۡكِ عُصۡبَةٌ مِّنۡكُمۡ یُہ پاٹھ تمِ لوکھ نیوٗلوی اُپز ہیتھ آی، یعنی ہانژھ لاجھ پاکہ سندِس پاک وجودس، حضرتِ اُم المومنین عائشہ صدیقہ رضی اللہ عنہا۔ تمِ لوکھ تہ چھِہ توہی اَندرہ اکھ لوکٹ جماعتھاہ تمن ہُند تعداد کُل ژوراوس تموٕ اَندرہ اُوس اکھ موٗلی شریر۔ باقی آسِ تمسندی تابع۔ امہِ قصکُ خلاصہ چھُوئی زِہ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم یلہِ جنگ بنی مصطلقہ نشہِ واپس آےٕ یُس جنگ شہ (۶) ہجریس منز سُپدمُت چھُو، حضرت ام المومنین عائشہ صدیقہ رضی اللہ عنہاتہِ آس اتھ سفرس منز نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن سیتِ۔ تمہِ آسہ الگ اکس اونٹس پیٹھ سوار۔ امس وونٹس پیٹھ اوس عماری یعنی ہودج یوان تھاونہ۔ تتھ عماری آسِ پردہ یوان تروانہ توپتہ آس تشریف تھاوان تتھ منز حضرتِ ام المومنین۔ اَمہِ پتہ آسِ ووٗنٹہ والِ یوان تہ یہِ عماری تُلان توپتہ وونٹس پیٹھ تھاوِت گسان۔ اکہ دوہہ اوس قافلہ اکس مقامس پیٹھ ٹھہرت۔ قافلہ کہِ روانگی برونٹھ پہَن پیہ حضرت ام المومنیس قضای حاجتچ ضرورت۔ تمِ درایہِ عماری منزہ ہناہ دُور پہَن قضای حاجت کرنہ خیطرہ اتفاق سُپد تہِ کہ اہنزہ ہٹہ چہِ مالہِ ژھیون پَن تہ سہ آیہِ چھکر اونہ۔ تموہیتِ تمک دانہ سونبراونِ۔ اتھ سیت لوگ تمن وقت توپتہ یلہِ تمِ واپس آےٕ قافلہ اوس درامُت۔ امہِ جایہ نشہِ خبر کوت ووٗتمت۔ ووٗنٹہ وال آسِ آمتِ تموٕ آس یہنز عماری تُجمژ۔ یمہِ خیالہ کہ ام المومنین آسن اتھ منز کیازہ تہندِ بن اوس تمن دوہَن کمی بیہ اوس تہند جسم تہ لوتُے۔ بدن اوس نحیف۔ ووٗنٹہ والین اوس نہ تہُند گوبیر زیادہ کینہہ لگان۔ چنانچہ تمو تُل تہند ہودج یہ خیال کرِت کہِ یم آسن اَتھ منز توپتہ تھوٗکھ اہندس وونٹس پیٹھ بند کرِتھ۔ حضرتِ ام المومنین یلہِ ڈیچھ قافلہ درامُت، تمِ رُوددراتس اَتھ جایہِ تمو ڈوٗپ یلہِ تمِ کُنہ جایہِ واتتھ مہِ لَگن نہ خود بخود واتن مہ ژھانڈان ژھانڈان واپس یتھ جایہ لہٰذا پزہ یتھ جایہ قرار کرُن۔ کینہہ کالاہ گژھت کھژ تمن ہندر توپتہ شونگ تمِ اَتھے۔ حضرت صفوان بن معطل صحابہ صابو اَندرہ اکھ صاحباہ، تمِ آسِ

تَحْسَبُوْهُ شَرًّا لَّكُمْ ۭ بَلْ هُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ ۭ لِكُلِّ امْرِئٍ مِّنْهُمْ مَّا اكْتَسَبَ مِنَ الْاِثْمِ ۚ وَالَّذِيْ تَوَلّٰى كِبْرَهٗ مِنْهُمْ لَهٗ عَذَابٌ عَظِيْمٌ ⑪ لَوْلَآ اِذْ سَمِعْتُمُوْهُ ظَنَّ الْمُؤْمِنُوْنَ وَالْمُؤْمِنٰتُ بِاَنْفُسِهِمْ خَيْرًا ۙ وَّقَالُوْا

قافلس پتہ پتہ پکان۔ کیازہ قافلس ما آسہِ کانہہ چیز اوُس پیومُت تمِ آسِ سُو چیز ژٔلان۔ تمِ یلہِ اتھ جایہ وات یتھس ام المومنین شونگت آس تمن آو بوزنہ اکھ انساناہ شونگت، نزدیکھ یلہِ وات اہندس بتھس پیٹھ پیٹھ نظر تمو پرزہ ناو توپتہ پور تمو بڈہ اناللہ وانا الیہ راجعون۔یہِ پرنہ سیتِ گیہِ تمِ ہُشیار۔ وُچھکھ صفوان بن معطل۔ سرِ مبارکس پیٹھ ترووٗکھ رِدای مُبارک۔یہِ صفوان بنِ معطل زانہا تمن پرٕ دُک حُکم نازِل سپدنہ برونٹھ۔ چنانچہ تمِ کور پیش پنُن ووُنٹھ۔ عرض کور ہکھ تہٕ سپدِ وحض اتھ پیٹھ سوار۔ امہِ پتہ اون تمو پنُن وونٹھ سُو بہہ نووٗکھ ام المؤمنیٖنس برونٹھ گنہِ تمہِ سپزٕ ہ تتھ پیٹھ سوار پردہ کرتھ۔ ووُنٹہ سنز رزرٹ صفوان بن معُطلن اَتھس منز، توپتہ ہیوٗکھ برونٹھ برونٹھ پکن یوتان قافلس نشہِ وات۔ عبداللہ بن ابی یُس منافِق خبیث، دُشمن جناب رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلم اوس تمن لج یہ کتھاہ اکھ اَتھس منز۔ تمِ ہیوت واہی تباہی ڈورن۔ بعضی سیدین سادٕن مُسلمانن پیٹھ تہٕ سُپد تمسندِ ہ وور نگ اثر۔ تمو تہٕ ہیوت اُمیک تذکرہ کرُن مثلاً حضرت مسطح تہٕ حضرت حسان مردٕ اَندرہ، حضرتِ حمنہ زنانو اَندرہ حضرت ام المومنین رضی اللہ عنہا بیہِ سارنی مُسلمان صحابہ صابن، بیہِ خود بذات جنابِ رسُول کریم صلی اللہ علیہ وسلم سُپد امیک سخت صدمہ۔ اکِس ریتس تانِ رُودیہِ قِصہ ییتھے پاٹھِ، اکہِ ریتہ پتہ سپد تمِ آیات کریمہ ام المومنینہ سندِس براءتس اندر نازل۔ اے مُسلمانو لَا تَحْسَبُوْهُ شَرًّا لَّكُمْ ۭ بَلْ هُوَ خَيْرٌ لَّكُمْ ژُتھنہ یہِ اپُز واقعہ تہٕ زانوِ پننہِ خیطرٕ ہ ییچھ تہٕ ناکارہ بلکہ چھُویہِ تہُندٕ ہ خیطرٕ ہ رُت تہٕ بہتر باعتبارِ انجام تہُندِ ہ خیطرٕ ہ چھُونہ ییتھ اندر کانہہ ضرر البتہ اُمیک چرچہ کرٕ ہ وٕنین چھُو ضرور امیک ضرر لِكُلِّ امْرِئٍ مِّنْهُمْ مَّا اكْتَسَبَ مِنَ الْاِثْمِ اکِس چھُو تیوت گُناہ یُوت تمِ اَتھ اپزِس منز حِصّہ نیوٗمت چھُو۔ زیوٗہِ سیت۔ یہِ قِصہ مشہور کرن والین زیادٕے گُناہ۔ بوزن والین دِلہ سیتِ بدگمانی کرن والین پننہِ پننہِ مِقدارہ موجب پریتھ اکس اُمیک گناہ وَالَّذِيْ تَوَلّٰى كِبْرَهٗ مِنْهُمْ لَهٗ عَذَابٌ عَظِيْمٌ بیہِ تمِ شخصن اتھ منز بوڈ حِصّہ ہیوت تہُندِ ہ خیطرٕ ہ چھُو بوڈ عذاب سُو گو منافقن ہُند زیٹھ عبداللہ بن ابی۔ تمِ یہِ اپزٕ خبر پھیلاوتس اندر سخت کوشش کر، تہندِ ہ خیطرٕ ہ چھُو سزاء نار جہنم لَوْلَآ اِذْ سَمِعْتُمُوْهُ ظَنَّ الْمُؤْمِنُوْنَ وَالْمُؤْمِنٰتُ بِاَنْفُسِهِمْ خَيْرًا ۙ وَّقَالُوْا

هٰذَآ اِفْكٌ مُّبِيْنٌ ﴿۱۲﴾ لَوْلَا جَآءُوْ عَلَيْهِ بِاَرْبَعَةِ شُهَدَآءَ ۚ فَاِذْ لَمْ يَاْتُوْا بِالشُّهَدَآءِ فَاُولٰٓئِكَ عِنْدَ اللّٰهِ هُمُ الْكٰذِبُوْنَ ﴿۱۳﴾ وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَتُهٗ فِى الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ لَمَسَّكُمْ فِىْ مَآ اَفَضْتُمْ فِيْهِ عَذَابٌ عَظِيْمٌ ﴿۱۴﴾ اِذْ تَلَقَّوْنَهٗ بِاَلْسِنَتِكُمْ وَتَقُوْلُوْنَ بِاَفْوَاهِكُمْ مَّا لَيْسَ لَكُمْ بِهٖ عِلْمٌ وَّتَحْسَبُوْنَهٗ هَيِّنًا ۖ وَّهُوَ عِنْدَ اللّٰهِ عَظِيْمٌ ﴿۱۵﴾ وَلَوْلَآ اِذْ سَمِعْتُمُوْهُ قُلْتُمْ مَّا يَكُوْنُ لَنَآ اَنْ نَّتَكَلَّمَ بِهٰذَا ۖ سُبْحٰنَكَ

---

هٰذَآ اِفْكٌ مُّبِيْنٌ توہہ یلہِ یہ خبر بوزایوہ باایمان مَردَو تہ باایمان زنانو کونہ نیُوٚوہ پانہ وانِ پننہِ حقہٕ رُت گُمان بیہ کونہِ دپیوو تموٚ یہ چھُو صریح تہ نون اپُز لَوْلَا جَآءُوْ عَلَيْهِ بِاَرْبَعَةِ شُهَدَآءَ بیہِ کونہ آی تمِ ہانژھ لاگہ وَنِ ژور گواہ ہیتھ یُس اثبات زناء خیطرہ شرط چھُو فَاِذْ لَمْ يَاْتُوْا بِالشُّهَدَآءِ فَاُولٰٓئِكَ عِنْدَ اللّٰهِ هُمُ الْكٰذِبُوْنَ پَس یلہِ نہ تمِ ژور گواہ ہیتھ آی۔ لہذا اچھہِ تمے شریعتہ کہِ قاعدہ موجُب خدایَس نشہِ اپزٕ زیر وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَتُهٗ فِى الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ لَمَسَّكُمْ فِىْ مَآ اَفَضْتُمْ فِيْهِ عَذَابٌ عَظِيْمٌ بیہِ ہر گاہ نے خدایہِ سُند فضل تہ رحمت توہہِ پیٹھ دُنیاءس تہ آخرتَس منز آسِہا، ای حسان، ای مسطح ای حمنہ۔ توہہِ رٹہِ ہاضر وراتھ کامہِ منز اژنہ خیطرہ اتھ منز شمولیت کرنہ خیطرہ بُوڈ عذاب اِذْ تَلَقَّوْنَهٗ بِاَلْسِنَتِكُمْ وَتَقُوْلُوْنَ بِاَفْوَاهِكُمْ مَّا لَيْسَ لَكُمْ بِهٖ عِلْمٌ یلہِ تہٕ اکھ اکِس وَنان آسوِہ پنہ نیوزیووسیتِ، تی اُوس تہٕندیو چانٹیو نیران تیچ نہ توہہِ خبری آس وَّتَحْسَبُوْنَهٗ هَيِّنًا بیہِ آسوِہ تہٕ زانان سہلَ کتھاہ لو کٹوی معاملاہ وَّهُوَ عِنْدَ اللّٰهِ عَظِيْمٌ حالانکہِ سُو چھُو خدایَس نشہِ سیٹھاہ بُوڈ چیز یعنے گناہ کبیرہ۔ کیازِہ پاک زنانہ تہمت لاگن یہ چھُو گناہِ کبیرہ۔ ووَن لاگنِ تہمت نبی کریمہ سنزِہ محترم گرواجنہِ یہ کوتاہ گناہ چھُو۔ تمہِ علاوہ سُپدِ یہ سببِ اذیّت نبیِ کریم صلی اللہ علیہ وسلم لہٰذا بیہ واریاہ چیز سپدِ گناہن ہند باعِث وَلَوْلَآ اِذْ سَمِعْتُمُوْهُ قُلْتُمْ مَّا يَكُوْنُ لَنَآ اَنْ نَّتَكَلَّمَ بِهٰذَا تمہِ ساتہ توہہِ یہ بُوزوہ گوڈنی تمی ساتہ کونہ ونیووہ توہہ کہِ اَسہِ پزِہ نہ یژھ کتھے کرنِ سُبْحٰنَكَ هٰذَا بُهْتَانٌ عَظِيْمٌ خداوندا ژہ چھوک منزہ تہ پاک۔ یہ واقعہ چھُو بالکل اپُز تہ سیٹھاہ بوڈ بہتان يَعِظُكُمُ اللّٰهُ

هٰذَا بُهْتَانٌ عَظِيْمٌ ﴿۱۶﴾ يَعِظُكُمُ اللّٰهُ اَنْ تَعُوْدُوْا لِمِثْلِهٖٓ اَبَدًا اِنْ
كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ﴿۱۷﴾ وَيُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ الْاٰيٰتِ ۭ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ ﴿۱۸﴾
اِنَّ الَّذِيْنَ يُحِبُّوْنَ اَنْ تَشِيْعَ الْفَاحِشَةُ فِي الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَهُمْ
عَذَابٌ اَلِيْمٌ ۙ فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ۭ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ وَاَنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ ﴿۱۹﴾
وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَتُهٗ وَاَنَّ اللّٰهَ رَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ ﴿۲۰﴾ ع
يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّبِعُوْا خُطُوٰتِ الشَّيْطٰنِ ۭ وَمَنْ يَّتَّبِعْ خُطُوٰتِ
الشَّيْطٰنِ فَاِنَّهٗ يَاْمُرُ بِالْفَحْشَاۗءِ وَالْمُنْكَرِ ۭ وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ

---

اَنْ تَعُوْدُوْا لِمِثْلِهٖٓ اَبَدًا اللہ تعالیٰ ڇھو توھان نصيحت ڪري ٿو تہ ان جهڙو ڪم ڪڏهن بہ ٻيهر نہ ڪريو اِنْ كُنْتُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ڇو تہ توهان ايمان وارا آهيو. وَيُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ الْاٰيٰتِ ۭ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ ۽ اللہ تعالیٰ توهان لاءِ پنهنجا حڪم بيان ڪري ٿو. ۽ اللہ تعالیٰ سڀ ڪجهہ ڄاڻندڙ ۽ وڏي حڪمت وارو آهي. اِنَّ الَّذِيْنَ يُحِبُّوْنَ اَنْ تَشِيْعَ الْفَاحِشَةُ فِي الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ۙ فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ۭ پر جي ماڻهو هي واضح آيتون نازل ٿيڻ کان پوءِ بہ ان ڳالهہ جي خواهش رکن ٿا تہ بي حيائي مسلمانن ۾ پکڙجي ۽ شائع ٿئي، انهن لاءِ دنيا ۽ آخرت ۾ دردناڪ عذاب آهي. وَاللّٰهُ يَعْلَمُ وَاَنْتُمْ لَا تَعْلَمُوْنَ ۽ اللہ تعالیٰ سڀ ڪجهہ ڄاڻي ٿو، توهان نٿا ڄاڻو. وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَتُهٗ ۽ جيڪڏهن توهان تي الله جو فضل ۽ رحمت نہ هجي ها وَاَنَّ اللّٰهَ رَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ ۽ اللہ تعالیٰ مهربان ۽ رحم ڪندڙ نہ هجي ها تہ توهان تي سخت عذاب نازل ٿئي ها. يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَتَّبِعُوْا خُطُوٰتِ الشَّيْطٰنِ ۭ وَمَنْ يَّتَّبِعْ خُطُوٰتِ الشَّيْطٰنِ اي ايمان وارؤ! شيطان جي قدمن تي نہ هلو. جيڪو شيطان جي قدمن تي هلندو فَاِنَّهٗ يَاْمُرُ بِالْفَحْشَاۗءِ وَالْمُنْكَرِ شيطان تہ هميشہ بي حيائي ۽ برن ڪمن جو حڪم ڏيندو آهي، تنهنڪري اهڙو شخص تباهہ ۽ برباد ٿيندو. وَلَوْلَا فَضْلُ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَتُهٗ مَا زَكٰى مِنْكُمْ مِّنْ اَحَدٍ اَبَدًا ۽ جيڪڏهن توهان تي خدا جو

وَرَحْمَتُهٗ مَا زَكٰى مِنْكُمْ مِّنْ اَحَدٍ اَبَدًا ۙ وَّلٰكِنَّ اللّٰهَ يُزَكِّيْ مَنْ يَّشَآءُ ۭ وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ﴿٢١﴾ وَلَا يَاْتَلِ اُولُوا الْفَضْلِ مِنْكُمْ وَالسَّعَةِ اَنْ يُّؤْتُوْٓا اُولِي الْقُرْبٰى وَالْمَسٰكِيْنَ وَالْمُهٰجِرِيْنَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ۽ وَلْيَعْفُوْا وَلْيَصْفَحُوْا ۭ اَلَا تُحِبُّوْنَ اَنْ يَّغْفِرَ اللّٰهُ لَكُمْ ۭ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿٢٢﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ يَرْمُوْنَ الْمُحْصَنٰتِ الْغٰفِلٰتِ الْمُؤْمِنٰتِ لُعِنُوْا فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ۠ وَلَهُمْ عَذَابٌ عَظِيْمٌ ﴿٢٣﴾ يَّوْمَ تَشْهَدُ عَلَيْهِمْ

---

فضل ۽ رحمت توهان پٺ آسان ها ته توهان اندر سڀ ڪنهن کان ڪوبه اڪهه ڙانهه ته پاڪ ۽ صاف ڪنهن نه ٿئي وَلٰكِنَّ اللّٰهَ يُزَكِّيْ مَنْ يَّشَآءُ ۭ وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ليڪن الله تعالىٰ جنهن کي گهري توفيق ڏئي پاڪ ۽ صاف ڪري ٿو. ۽ الله تعالىٰ ڇو سڀ ٻڌڻ وارو سڀ ڄاڻڻ وارو آهي. وَلَا يَاْتَلِ اُولُوا الْفَضْلِ مِنْكُمْ وَالسَّعَةِ اَنْ يُّؤْتُوْٓا اُولِي الْقُرْبٰى وَالْمَسٰكِيْنَ وَالْمُهٰجِرِيْنَ فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ۽ نه هاڻي قسم توهان اندر ديني فضيلت وارا ۽ دنيوي وسعت وارا، تم ڪيا آسان نه مال ڏين ڏيڻ وارا آشناوان ته مسڪين ۽ مهاجرن کي خدا جي راه ۾ سنڌو ته اندر هجرت ڪري ٿو. آسان امام اندر ڇهو مراد حضرت ابوبڪر صديق ترغيب ڏين ڪه تم پنهنجي امداد پنهنجي آشنا حضرت مسطحس ڏيڻ ڇهه سو ٿاون جاري. امام قصور مٺ ڪهه مه ڪرڻ سو بند. تمس ڪرڻ قصور معاف وَلْيَعْفُوْا وَلْيَصْفَحُوْا تهند گڙهه معاف ڪرڻ درگذر ڪرڻ تهند قصور اَلَا تُحِبُّوْنَ اَنْ يَّغْفِرَ اللّٰهُ لَكُمْ ۭ وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ڪياه تهه ڇهو ناپسند ڪران ڪه الله تعالىٰ ڪياڪره تهندين گنهن مغفرت. تيله آسو تهه ته بين هند قصور معاف ڪران. الله تعالىٰ ڇهو سيٺاه مغفرت ڪره ڏن سيٺاه رحم ڪره ڏن اِنَّ الَّذِيْنَ يَرْمُوْنَ الْمُحْصَنٰتِ الْغٰفِلٰتِ الْمُؤْمِنٰتِ لُعِنُوْا فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ پزپاٺ تم لوڪ بدڪاري هنز هاڻه لاڳن پاڪ ته بي خبر باايمان زنانن تمن بيه لعنت ڪرنه دنياءس ته آخرتس اندر وَلَهُمْ عَذَابٌ عَظِيْمٌ بيه ڇهو تهندي خيطره ٻوڏ عذاب يَّوْمَ تَشْهَدُ عَلَيْهِمْ اَلْسِنَتُهُمْ وَاَيْدِيْهِمْ وَاَرْجُلُهُمْ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ تته بڙس عذابس گڙهن گرفتار تمه دوهه يمه دوهه گواهي دن تمن خلاف زيوه تهنزه بيه اته تهند بيه کهور تهند تمن ساري

اَلْسِنَتُهُمْ وَاَيْدِيْهِمْ وَاَرْجُلُهُمْ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿۲۴﴾ يَوْمَئِذٍ يُّوَفِّيْهِمُ اللّٰهُ دِيْنَهُمُ الْحَقَّ وَيَعْلَمُوْنَ اَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْحَقُّ الْمُبِيْنُ ﴿۲۵﴾ اَلْخَبِيْثٰتُ لِلْخَبِيْثِيْنَ وَالْخَبِيْثُوْنَ لِلْخَبِيْثٰتِ ۚ وَالطَّيِّبٰتُ لِلطَّيِّبِيْنَ وَالطَّيِّبُوْنَ لِلطَّيِّبٰتِ ۚ اُولٰٓئِكَ مُبَرَّءُوْنَ مِمَّا يَقُوْلُوْنَ ؕ لَهُمْ مَّغْفِرَةٌ وَّرِزْقٌ كَرِيْمٌ ﴿۲۶﴾ع

يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَدْخُلُوْا بُيُوْتًا غَيْرَ بُيُوْتِكُمْ حَتّٰى تَسْتَاْنِسُوْا وَتُسَلِّمُوْا عَلٰٓى اَهْلِهَا ؕ ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ ﴿۲۷﴾ فَاِنْ لَّمْ تَجِدُوْا فِيْهَآ اَحَدًا فَلَا تَدْخُلُوْهَا حَتّٰى يُؤْذَنَ لَكُمْ ۚ وَاِنْ قِيْلَ لَكُمُ ارْجِعُوْا

---

کامین ہنز یم تم لوکھ کران آس يَوْمَئِذٍ يُّوَفِّيْهِمُ اللّٰهُ دِيْنَهُمُ الْحَقَّ وَيَعْلَمُوْنَ اَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْحَقُّ الْمُبِيْنُ تمی دوہہ ہیہ تمن اللہ تعالیٰ واجی بدلہ۔ بیہ زانن تم تمی دوہہ کہ بیشک اللہ تعالیٰ چھو پوز فیصلہ کرہ ڈن پوز پزر اوہ ڈن پریتھ کتھ ہنز حقیقت نتر اوہ ڈن اَلْخَبِيْثٰتُ لِلْخَبِيْثِيْنَ وَالْخَبِيْثُوْنَ لِلْخَبِيْثٰتِ وَالطَّيِّبٰتُ لِلطَّيِّبِيْنَ وَالطَّيِّبُوْنَ لِلطَّيِّبٰتِ ناپاک زنانہ چھہ ناپاک مردن ہندہ خیطرہ، ناپاک مرد چھہ ناپاک زنانن ہندہ خیطرہ پاک زنانہ چھہ پاک مردن ہندہ خیطرہ پاک مرد چھہ پاک زنانن ہندہ خیطرہ اُولٰٓئِكَ مُبَرَّءُوْنَ مِمَّا يَقُوْلُوْنَ تم پاک مرد تہ پاک زنانہ چھہ بالکل بری تمو کتھو تہ ہانژ ونشہ یمہ کتھ لوک ونان لَهُمْ مَّغْفِرَةٌ وَّرِزْقٌ كَرِيْمٌ تہندہ خیطرہ چھو بوڈ مغفرت بیہ عزتک رزق۔ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَا تَدْخُلُوْا بُيُوْتًا غَيْرَ بُيُوْتِكُمْ حَتّٰى تَسْتَاْنِسُوْا وَتُسَلِّمُوْا عَلٰٓى اَهْلِهَا اَی باایمانو مہ آسوا ژان کُنہ گرس منز پننہ نیو گرو ورای یُس تان نہ گوڈہ اجازت آسو ہیوان بیہ یُس تان نہ سلام آسو کران گرِ والین پیٹھ ذٰلِكُمْ خَيْرٌ لَّكُمْ لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ بیہ چھو تہندہ حقہ سیٹھاہ رُت یتھ تُہہ ژینس تھاوِو فَاِنْ لَّمْ تَجِدُوْا فِيْهَآ اَحَدًا فَلَا تَدْخُلُوْهَا ہر گاہ نے تہہ گرن اندر کانہہ شخصاہ لبیون توتہ مہ آسو تہہ تمن گرن منز اژان حَتّٰى يُؤْذَنَ لَكُمْ یُس تان نہ توہہ اجازت آسہ یوان دِنہ وَاِنْ قِيْلَ لَكُمُ ارْجِعُوْا فَارْجِعُوْا هُوَ اَزْكٰى لَكُمْ بیہ ہر گاہ توہہ وننہ آسہ یوان

فَارْجِعُوْا هُوَ اَزْكٰى لَكُمْ ۚ وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ عَلِيْمٌ ﴿۲۸﴾ لَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ
اَنْ تَدْخُلُوْا بُيُوْتًا غَيْرَ مَسْكُوْنَةٍ فِيْهَا مَتَاعٌ لَّكُمْ ۚ وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا تُبْدُوْنَ
وَمَا تَكْتُمُوْنَ ﴿۲۹﴾ قُلْ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ يَغُضُّوْا مِنْ اَبْصَارِهِمْ وَيَحْفَظُوْا
فُرُوْجَهُمْ ۚ ذٰلِكَ اَزْكٰى لَهُمْ ۚ اِنَّ اللّٰهَ خَبِيْرٌۢ بِمَا يَصْنَعُوْنَ ﴿۳۰﴾ وَقُلْ
لِّلْمُؤْمِنٰتِ يَغْضُضْنَ مِنْ اَبْصَارِهِنَّ وَيَحْفَظْنَ فُرُوْجَهُنَّ وَلَا يُبْدِيْنَ
زِيْنَتَهُنَّ اِلَّا مَا ظَهَرَ مِنْهَا وَلْيَضْرِبْنَ بِخُمُرِهِنَّ عَلٰى جُيُوْبِهِنَّ ۪ وَلَا

---

وڃڻ جو موقعو ملاقات کانسواءِ واپس ورڻ ڇو ته واپس ورڻ تي ڇو ته زياده خطرو زياده صفائي هُند باعث وَاللّٰهُ بِمَا تَعْمَلُوْنَ عَلِيْمٌ الله تعاليٰ ڇو ته سڀ سورو زانان يا ته تي ڪري ڪيو. اگر خلاف حڪم ڪانه ڪام ڪرو ته پيٺ کي سزا لَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ اَنْ تَدْخُلُوْا بُيُوْتًا غَيْرَ مَسْكُوْنَةٍ فِيْهَا مَتَاعٌ لَّكُمْ توهان ڇونه ڪانه گناه هرگاه ته اُڏو تمن گهرن اندر تمن منزل لوڪ عيال هيٺ بسان آسن تمن منزل آسه تهند ڪانه سامانه. سو گو مسجد، مدرسه، سراءِ، هوٽل هئوا ٿيمن مڪانن اندر بلا اجازت اڙنس ڇونه ڪانه حرج وَاللّٰهُ يَعْلَمُ مَا تُبْدُوْنَ وَمَا تَكْتُمُوْنَ الله تعاليٰ ڇو زانان ته سورو يه ته نر اوان ڇو بيه نه کٿٿ ٿاوان ڇو پريٿه حالس منز گڙهه ڪهو ڙن خدايس قُلْ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ يَغُضُّوْا مِنْ اَبْصَارِهِمْ وَيَحْفَظُوْا فُرُوْجَهُمْ ذٰلِكَ اَزْكٰى لَهُمْ فرماوِ ته يارسول الله باايمان مردن تم وَٽن اُڇهِ پنه، ووپر زنانن گُن نظر دنه نشه بيه ڪرن راڇهِ ستره ڇن جاين پنه نين ووپر زنانن غير منڪوحن سيت يالو ڪٽين سيت بدڪاري ڪرنه نشهِ. تي ڇو زياده مفيد تهندِ خيطره اِنَّ اللّٰهَ خَبِيْرٌۢ بِمَا يَصْنَعُوْنَ ٻُز پاٺ الله تعاليٰ اس ڇهه خبر تمهِ سارِ ڇي يه تم ڪران ڇهِ. سو ديوه يڙهن يڇ ڪامين پيٺ سزا وَقُلْ لِّلْمُؤْمِنٰتِ يَغْضُضْنَ مِنْ اَبْصَارِهِنَّ وَيَحْفَظْنَ فُرُوْجَهُنَّ بيه فرماوِ باايمان زنانن ڪه تمهِ ته وٽن اُڇهِ پنهِ ووپر مردن گُن نظر دنه نشهِ بيه گرن راڇهِ پنه نين ستره ڇن جاين بدڪاري نشهِ وَلَا يُبْدِيْنَ زِيْنَتَهُنَّ اِلَّا مَا ظَهَرَ مِنْهَا بيه مه نر اون تمهِ پنهِ زينته ڇهِ جايه مگر تي جايه يمو اندره نير گُن آسن، مجبوري آسهِ تمهِ جايهِ نر اونهِ سو گو بُتهِ اٿهِ زه[۲] ته کهور زه[۲] وَلْيَضْرِبْنَ

يُبْدِيْنَ زِيْنَتَهُنَّ اِلَّا لِبُعُوْلَتِهِنَّ اَوْ اٰبَآئِهِنَّ اَوْ اٰبَآءِ بُعُوْلَتِهِنَّ اَوْ
اَبْنَآئِهِنَّ اَوْ اَبْنَآءِ بُعُوْلَتِهِنَّ اَوْ اِخْوَانِهِنَّ اَوْ بَنِيْٓ اِخْوَانِهِنَّ اَوْ
بَنِيْٓ اَخَوٰتِهِنَّ اَوْ نِسَآئِهِنَّ اَوْ مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُنَّ اَوِ التّٰبِعِيْنَ غَيْرِ
اُولِي الْاِرْبَةِ مِنَ الرِّجَالِ اَوِ الطِّفْلِ الَّذِيْنَ لَمْ يَظْهَرُوْا عَلٰى
عَوْرٰتِ النِّسَآءِ ۠ وَلَا يَضْرِبْنَ بِاَرْجُلِهِنَّ لِيُعْلَمَ مَا يُخْفِيْنَ مِنْ
زِيْنَتِهِنَّ ۭ وَتُوْبُوْٓا اِلَى اللّٰهِ جَمِيْعًا اَيُّهَ الْمُؤْمِنُوْنَ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُوْنَ ۝۳۱

---

بِخُمُرِهِنَّ عَلٰى جُيُوْبِهِنَّ بيهِ ڪرن تمهِ ڪلهَ ته سينه پُوشيده ٿاوَنَ سيٺاهه ڪوشش. تنهه سلسلس منز ڇُهو لازِم تِمن ڪهِ پوٚژ ته سر ژادر تراوِن تمهِ پنه نَن نالن ته گريبانن پيٹھ يمهِ سيت ہٹس ته سيٖنس آسهِ ستر سَپدان وَلَا يُبْدِيْنَ زِيْنَتَهُنَّ اِلَّا لِبُعُوْلَتِهِنَّ بيهِ مه نٕر اوِن گهنڇه جايهِ پننهِ مگر پنه نين خاندارن نشهِ اَوْ اٰبَآئِهِنَّ يا پنه نين مالين نشهِ اَوْ اٰبَآءِ بُعُوْلَتِهِنَّ يا خاندارن هندين مالين نشهِ يعني هيهرن نشهِ اَوْ اَبْنَآئِهِنَّ يا پنه نين نچوين نشهِ اَوْ اَبْنَآءِ بُعُوْلَتِهِنَّ يا خاندارن هندين نچوين يعني وورهِ نچوين نشهِ اَوْ اِخْوَانِهِنَّ يا پننهِ نَن باين نشهِ اَوْ بَنِيْٓ اِخْوَانِهِنَّ يا باپهِ تهرن نشهِ اَوْ بَنِيْٓ اَخَوٰتِهِنَّ يا بينتهرن نشهِ اَوْ نِسَآئِهِنَّ يا پنه نين زنانن نشهِ يعني يمهِ مُسلمان زنانه يوان گرٕهان آسَن بشرطيکه بد چلن آسَن نه. کافر ته غير مُسلم زنانه گيهِ ووَپر مردس برابر. تمن نشهِ ته گرٕهه ستر کرُن يتھ پاٹھ ووپر مَردس نشهِ ستر کرنه يوان ڇھو اَوْ مَا مَلَكَتْ اَيْمَانُهُنَّ يا پنه نين کنيزن نشهِ اَوِ التّٰبِعِيْنَ غَيْرِ اُولِي الْاِرْبَةِ مِنَ الرِّجَالِ تمن خدمتگذارن نشهِ تمن نه حاجت آسه زنانن هُند، مَردوٚ اَندره، تمن آسَن نه حواس بجا تمي آسيکھ نه زنانن کُن رغبت ته توجه اَوِ الطِّفْلِ الَّذِيْنَ لَمْ يَظْهَرُوْا عَلٰى عَوْرٰتِ النِّسَآءِ يا تمن لوکٹين نشهِ تم نه ونه واقف آسن سپدمتِ زنانن هندين پُوشيده معاملاتن پيٹھ، يعني نابالغ لوکٹِ يمن سارني نشهِ ڇُهو جائز بُتھ ته اَتھ کھور نٕر اوِن خاوندس لش گرٕهه نه بدنک کانهه حصهِ پُوشيده ٿاوُن اگرچهِ خاص جاي وڇھن ڇھه خلافِ اَدب وَلَا يَضْرِبْنَ بِاَرْجُلِهِنَّ لِيُعْلَمَ مَا يُخْفِيْنَ مِنْ زِيْنَتِهِنَّ بيهِ گرٕهه زنانن هُند پرٕ دُک يُوت خيال ٿاوُن که پکان

وَأَنكِحُوا الْأَيَامَىٰ مِنكُمْ وَالصَّالِحِينَ مِنْ عِبَادِكُمْ وَإِمَائِكُمْ ۚ إِن
يَكُونُوا فُقَرَاءَ يُغْنِهِمُ اللَّهُ مِن فَضْلِهِ ۗ وَاللَّهُ وَاسِعٌ عَلِيمٌ ﴿٣٢﴾
وَلْيَسْتَعْفِفِ الَّذِينَ لَا يَجِدُونَ نِكَاحًا حَتَّىٰ يُغْنِيَهُمُ اللَّهُ مِن
فَضْلِهِ ۗ وَالَّذِينَ يَبْتَغُونَ الْكِتَابَ مِمَّا مَلَكَتْ أَيْمَانُكُمْ فَكَاتِبُوهُمْ
إِنْ عَلِمْتُمْ فِيهِمْ خَيْرًا ۖ وَآتُوهُم مِّن مَّالِ اللَّهِ الَّذِي آتَاكُمْ ۚ وَلَا
تُكْرِهُوا فَتَيَاتِكُمْ عَلَى الْبِغَاءِ إِنْ أَرَدْنَ تَحَصُّنًا لِّتَبْتَغُوا عَرَضَ الْحَيَاةِ

---

پکان گژھن نہ کھور زورہ تراونِ یُتھ تمہٕ زیورچ آواز دوپر مردن ہندین کنن گژھہ یُس زیور تمہٕ پُوشیدہ تھاوان چھہ یعنی پازیب وَتُوبُوا إِلَى اللَّهِ جَمِيعًا أَيُّهَ الْمُؤْمِنُونَ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُونَ بیہ کرِو توبہ تہٕ ساری اللہ تعالیٰ اس کُن ای باایمانو توہے کینہہ کوتاہی آسہٕ گمژ احکامن اندر یُتھ تہٕ کامیاب سپدِ وورنہ معصیت چھہ مانع کامیابی سپدان وَأَنكِحُوا الْأَيَامَىٰ مِنكُمْ بیہ کرِو نیتھر تمن یم توہہٕ اندرہ نیتھرہ ورای تہٕ بےنکاح آسن۔ ادہ تمِ مرد آستن یا زنانہ وَالصَّالِحِينَ مِنْ عِبَادِكُمْ وَإِمَائِكُمْ بیہ یمِ نکاح کرنس قابلِ آسن تہٕند یو غلامو اندرہ بیہ کینز واندرہ۔ بیہ گژھہِ یاد تھاوُن کہ پنہٕ نِس عزیز یا پنہٕ نِس عزیزہ سندِس خاوندہ سُند فقیر آسُن گژھہ نہ مانع سُپدن تمن ہندہِ نکاحہ نشہٕ کیازہ إِن يَكُونُوا فُقَرَاءَ يُغْنِهِمُ اللَّهُ مِن فَضْلِهِ ہر گہے تمِ فقیر تہٕ محتاج آسن اللہ تعالیٰ کرِہ تمن پنہٕ فضلہ سیت مالدار نکاح کرنہ پتہٕ یلہٕ تمن اندر رُوزی کماونچ قابلیت آسہٕ وَاللَّهُ وَاسِعٌ عَلِيمٌ اللہ تعالیٰ چھُو وُسعتہ وول۔ سُو یُس یژھہٕ تس کرِہ رزقس اندر وُسعت۔ سُو چھُو سورُوی زانہ وُن سارنی ہُند حال چھُو تس معلوم وَلْيَسْتَعْفِفِ الَّذِينَ لَا يَجِدُونَ نِكَاحًا حَتَّىٰ يُغْنِيَهُمُ اللَّهُ مِن فَضْلِهِ بیہ روزِن پاکدامن تمِ لوکھ یم نہ نیتھر ہیکان چھہٕ تنگدستی ہندہِ سببہ یُو تانِ اللہ تعالیٰ مالدار کرِہ تمن پنہٕ فضلہ سیتِ وَالَّذِينَ يَبْتَغُونَ الْكِتَابَ مِمَّا مَلَكَتْ أَيْمَانُكُمْ فَكَاتِبُوهُمْ إِنْ عَلِمْتُمْ فِيهِمْ خَيْرًا بیہ یمِ خواہشمند آسن مالکس بدل آزاد سپدِ نک، تہٕند یو غلامو یا کینز واندرہ تمِ بناوِیو کھ مکاتب ہر گاہ توہہٕ تمن منز گژھہٕ خوبی و بہتری ہندِ آثار و علامت لبنہ ین وَآتُوهُم مِّن مَّالِ اللَّهِ الَّذِي آتَاكُمْ بیہ آسو تمن امداد

الدُّنْيَا ۚ وَمَنْ يُّكْرِهْهُّنَّ فَاِنَّ اللّٰهَ مِنْۢ بَعْدِ اِكْرَاهِهِنَّ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿٣٣﴾ وَلَقَدْ اَنْزَلْنَآ اِلَيْكُمْ اٰيٰتٍ مُّبَيِّنٰتٍ وَّمَثَلًا مِّنَ الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلِكُمْ وَمَوْعِظَةً لِّلْمُتَّقِيْنَ ﴿٣٤﴾ اَللّٰهُ نُوْرُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ مَثَلُ نُوْرِهٖ كَمِشْكٰوةٍ فِيْهَا مِصْبَاحٌ ۭ اَلْمِصْبَاحُ فِيْ زُجَاجَةٍ ۭ اَلزُّجَاجَةُ كَاَنَّهَا كَوْكَبٌ دُرِّيٌّ يُّوْقَدُ مِنْ شَجَرَةٍ

---

کران، خدایہِ سندہ تمہِ مالہ منزہ کینہہ دِوان یُس مال توہہِ تمی عطا کورمُت چھو وَلَا تُكْرِهُوْا فَتَيٰتِكُمْ عَلَى الْبِغَآءِ اِنْ اَرَدْنَ تَحَصُّنًا لِّتَبْتَغُوْا عَرَضَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا بیہِ مہ کریو کھ مجبور پننہِ کنیزہ بدکاری پیٹھ ہرگاہ تمہِ یژھن تمہِ نشہِ بچُن تہ پاک و پاکیزہ روزُن کیاہ تہٕ چھوہ یہِ یچھ کام کرہ ناوِت ژھانڈان دنیاء چہ ناپائیدار زندگی ہُند سامانہ وَمَنْ يُّكْرِهْهُّنَّ فَاِنَّ اللّٰهَ مِنْۢ بَعْدِ اِكْرَاهِهِنَّ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ بیہِ یُس تمن یہ یچھہ کوم کرہ نس پیٹھہ مجبور کرہ، اللہ تعالیٰ کرِہ تمن مجبور کرنہ پتہ مغفرت تہ رحم۔ مجبور کرہ وُنس کرِہ سخت عذابس گرفتار وَلَقَدْ اَنْزَلْنَآ اِلَيْكُمْ اٰيٰتٍ مُّبَيِّنٰتٍ وَّمَثَلًا مِّنَ الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلِكُمْ وَمَوْعِظَةً لِّلْمُتَّقِيْنَ ٹیز پاٹہِ بیہِ کٔر اَسہِ نازِل تُہندہ ہدایتہِ خیطرہ یتھہ سُورہ شریفس منز رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم سندہ ذریعہ توہہِ کُن ای مُسلمانوَ نِ آیات تہ احکام، بیہِ کینہہ مثالہ، مختصر حالات تمن لُوکن ہندِ یم توہہِ برونٹھ گُذریمتِ چھہِ۔ بیہِ بڈ نصیحت کھوژہ وُنین تہ پرہیزگارن ہندہ خیطرہ اَللّٰهُ نُوْرُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ اللہ تعالیٰ ای چھُو نُور ہدایت عطا کرہ وُن تمن یم آسمانن منز روزہ وِنِ چھہِ بیہِ یم زمینس منز روزونِ چھہِ۔ یعنی آسمان وز مینس منز یمن ہدایت سپُد تمن سارنی کور ہدایت اللہ تعالیٰ نئ۔ آسمان وزمینن منز چھُو مُراد سورُوی عالم۔ پَس یم مخلوقات آسمان وزمینہ نِشہِ نیبر چھِہ مثلاً حاملان عرش وغیرہ تمِ ساری سپدِ اَتھ منز شامِل۔ مَثَلُ نُوْرِهٖ كَمِشْكٰوةٍ فِيْهَا مِصْبَاحٌ تہندِہ نورِ ہدایچ عجیب حالت چھہ ترِٹھی کہِ تُہہ زانتو اکھہ طاقچہ ہِناہ تتھہ پیٹھ چھُوا کھ ژونگاہ اَلْمِصْبَاحُ فِيْ زُجَاجَةٍ سُوی ژونگ چھُواتھہ طاقچس پیٹھہ اکس شیشوسِی قندیلس منز اَلزُّجَاجَةُ كَاَنَّهَا كَوْكَبٌ دُرِّيٌّ یہِ شیشُو قندیل چھُو تُیتھہ صاف زَن سُوسِتارہ چھُو زوتان

مُّبٰرَكَةٍ زَيْتُوْنَةٍ لَّا شَرْقِيَّةٍ وَّلَا غَرْبِيَّةٍ ۙ يَّكَادُ زَيْتُهَا يُضِيْٓءُ وَلَوْ لَمْ تَمْسَسْهُ نَارٌ ؕ نُوْرٌ عَلٰى نُوْرٍ ؕ يَهْدِى اللّٰهُ لِنُوْرِهٖ مَنْ يَّشَآءُ ؕ وَ يَضْرِبُ اللّٰهُ الْاَمْثَالَ لِلنَّاسِ ؕ وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَىْءٍ عَلِيْمٌ ۙ﴿۳۵﴾ فِىْ بُيُوْتٍ اَذِنَ اللّٰهُ اَنْ تُرْفَعَ وَيُذْكَرَ فِيْهَا اسْمُهٗ ۙ يُسَبِّحُ لَهٗ فِيْهَا بِالْغُدُوِّ وَالْاٰصَالِ ۙ﴿۳۶﴾

---

يُّوْقَدُ مِنْ شَجَرَةٍ مُّبٰرَكَةٍ زَيْتُوْنَةٍ لَّا شَرْقِيَّةٍ وَّلَا غَرْبِيَّةٍ سُو ژونگ چھو زالنہ یوان اکہِ مُفید تہ بابرکت کُلہِ کہ تیلہ سیتِ سُو کُل گو درختِ زیتون یُس نہٕ مشرقس کُن چھُونہٕ مغربس کُن بلکہ چھُو ترٛٹھہِ جایہِ یتہ نَس تتھ پیٹھہ دوی دوٚہس تاپ چھُوواتان۔ یتھہِ درختِ زیتونُک تیل چھُو آسان زیادہ لطیف تہ صاف يَّكَادُ زَيْتُهَا يُضِيْٓءُ وَلَوْ لَمْ تَمْسَسْهُ نَارٌ تمیُک تیل چھُو زوتان تہ نپہ نپہ کران اگرچہ تتھ متہ اِتین نارہ سیتِ ژکھ دِنہ۔ ادہ یلہِ تتھ نارہ سیتِ ژکھ تہ ایہِ دِنہ تیلہ سپدِہ تمیُک گاش دوٚگن سُو سپدِہ نُوْرٌ عَلٰى نُوْرٍ اکِس نورس پیٹھہ بیاکھ نور۔ اکھ اُوس یہِ تیل بذات خود روشن بیہ یلہِ نارہ سیتِ آس ژکھ دِنہ اچِھ روشنی گئیہِ تیز مثال گئیہِ ختم۔ یتھے پاٹھہ یلہِ اللہ تعالیٰ چھُو باایمانہ سندِس دِلس اندر ہدایتک نور واتناوان تمِس چھُو دوہہٕ خو تہ دوہہٕ قبول حقہ خیطرہ دِل مُژرنہ یوان۔ پرٛیتھہ وقتہ چھُو احکام الٰہی بجاانہ خیطرہ تیار روزان۔ نور علم حاصِل سپدنہ پتہ چھُو امِس نور عمل تہِ حاصِل سپدان۔ تمے زہ نور یلہِ جمع سپدِ اتھ پیٹھہ آو صادق نور علی نور يَهْدِى اللّٰهُ لِنُوْرِهٖ مَنْ يَّشَآءُ اللہ تعالیٰ چھُو پنہ نِس نور ہدایتس کُن وَتھ ہاوان یَس یژھان چھُو تَس۔ یہ چھ بڈ منت ہدایت لبہ وُنین پیٹھہ اللہ تعالیٰ سندِہ طرفہ۔ تہندی توفیقہ سیتِ بنیو تمِن ہدایت وَ يَضْرِبُ اللّٰهُ الْاَمْثَالَ لِلنَّاسِ یتھہ پاٹھ ہدایچ یہِ مثال اللہ تعالیٰ اَن بیان فرماوتھے پاٹھہِ چھُو اللہ تعالیٰ لُوکن ہندِہ ہدایہ خیطرہ مثالہ بیان کران یتھ لُوکن پورہ فِکر ترہ وَاللّٰهُ بِكُلِّ شَىْءٍ عَلِيْمٌ اللہ تعالیٰ چھُو پرٛیتھہ چیزاہ پُور زانہ وُن۔ فِىْ بُيُوْتٍ اَذِنَ اللّٰهُ اَنْ تُرْفَعَ وَيُذْكَرَ فِيْهَا اسْمُهٗ تمن اللہ تعالیٰ ہدایتک نور عطا کران چھُہ تمِ چھہ تہنز عبادت کران۔ تمِن گرِن اندر تمن گرن ہند بلند کرنک اَندر تہندہ نام پاٹھہِ یاد کرُنک اللہ تعالیٰ اَن فرموومُت چھُو، تمِ گرہ گئے مسجِدہ۔ تمِن گرن ہُند پزہِ سیٹھاہ تعظیم واحترام کرُن۔ توت گژھہ نہ اژُن

رِجَالٌ لَّا تُلْهِيهِمْ تِجَارَةٌ وَّلَا بَيْعٌ عَنْ ذِكْرِ اللّٰهِ وَإِقَامِ الصَّلٰوةِ وَ إِيْتَآءِ الزَّكٰوةِ يَخَافُوْنَ يَوْمًا تَتَقَلَّبُ فِيْهِ الْقُلُوْبُ وَالْاَبْصَارُ ﴿۳۷﴾ لِيَجْزِيَهُمُ اللّٰهُ اَحْسَنَ مَا عَمِلُوْا وَيَزِيْدَهُمْ مِّنْ فَضْلِهٖ وَاللّٰهُ يَرْزُقُ مَنْ يَّشَآءُ بِغَيْرِ حِسَابٍ ﴿۳۸﴾ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اَعْمَالُهُمْ كَسَرَابٍ

---

بے غسلن تہ حیضہ واجہ نین زنانن ہُند۔ توت گژھہ نہ واتناوُن کانہہ ناپاک چیز۔ تتہ گژھہِ نہ لاگُن کُنہِ قسمُک شور تہ کریکہ ناد۔ تتہِ گژھَن نہ کرنہِ دُنیوی کتھ يُسَبِّحُ لَهٗ فِيْهَا بِالْغُدُوِّ وَالْاٰصَالِ بپا کی چھہِ پاژن وقتن یاد کران تِمن گرن اندر نماز پرنہ سیتِ، صُبحس تہ شامس صُبحس گیہِ صُبح نماز آصالس اندر آی باقی ژور وقت۔ پیشن، دگر، شام تہ خفتن کیازہ اصل تہ آصال چھہِ ونان دوٗ پہرہ کہِ آفتاب ڈلنہ پتہ سارِسی راتس تانِ رِجَالٌ لَّا تُلْهِيهِمْ تِجَارَةٌ وَّلَا بَيْعٌ عَنْ ذِكْرِ اللّٰهِ وَإِقَامِ الصَّلٰوةِ وَإِيْتَآءِ الزَّكٰوةِ تِہِ مرد یمن نہ آور چھو کران خدایہِ سندہِ یادہ نشہِ، نماز قائم تھاونہ نشہِ، زکوٰۃ ادا کرنہ نشہِ، کانہہ کاروبار انہ کانہہ تجارتاہ۔ اَمہِ اَندرہ چھو معلوم سپدان کہ مردَن ہنز گژھہِ مسجدن اندر نماز پرنِ۔ زنانن ہنز گژھہِ نماز پرنِ گرنی اندر۔ حدیث شریفس اندر چھو آمُت زنانن ہنزِ ہ گری نماز پرنُس واریاہ فضیلت تہندِ ہ خیطرہ چھہ گرے مسجدِ ہ يَخَافُوْنَ يَوْمًا تَتَقَلَّبُ فِيْهِ الْقُلُوْبُ وَالْاَبْصَارُ تِم لُوک چھہِ کھوژان تمہِ دُہہ کِس رٹہ نُس تہ گنڈنُس یمہِ دوہہ تلک پیٹھ سپدہ بعضی لُوکن ہندین دِلَن تہ اچھن دہشت وخوفہ سیتِ۔ لِيَجْزِيَهُمُ اللّٰهُ اَحْسَنَ مَا عَمِلُوْا وَيَزِيْدَهُمْ مِّنْ فَضْلِهٖ انجام تِمن لُوکن ہُند آسہِ کہ اللہ تعالیٰ دیہ تِمن رُت بدلہ تہنزن رژن عملن ہُند۔ یمہِ عملہ تموکرِ مُژہ آسَن۔ بیہ ہُرہ راو یکھ مزدُورِ پتہ فضلہ سیتِ وَاللّٰهُ يَرْزُقُ مَنْ يَّشَآءُ بِغَيْرِ حِسَابٍ اللہ تعالیٰ چھو عطا کران یَس یژھان چھو تَس حسابہ روستوی۔ یُوتان آو بیان کرنہ ہدایتک تہ اہلِ ہدایتن ہُند حال۔ اَمہِ پتہ چھو اللہ تعالیٰ فرماوان اہل ضلالتن ہُند حال تہ مِثال۔ اہل ضلالت یعنی کافرن چھہِ زہ قسم اکھ گے تِم یمنِ قیامتہِ پژھ چھہ۔ یمن چھو جزاء وسزاءُک تہ خیال یہ مثال چھہ تہنز ی وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اَعْمَالُهُمْ كَسَرَابٍ بِقِيْعَةٍ يَّحْسَبُهُ الظَّمْاٰنُ مَآءً بیہ تِم کافر چھہِ تہنزن عملن ہنز

بِقِيعَةٍ يَحْسَبُهُ الظَّمْاٰنُ مَآءً ۗ حَتّٰىٓ اِذَا جَآءَهٗ لَمْ يَجِدْهُ شَيْـًٔا وَّ
وَجَدَ اللّٰهَ عِنْدَهٗ فَوَفّٰىهُ حِسَابَهٗ ۗ وَاللّٰهُ سَرِيْعُ الْحِسَابِ ﴿۳۹﴾ اَوْ
كَظُلُمٰتٍ فِىْ بَحْرٍ لُّجِّىٍّ يَّغْشٰىهُ مَوْجٌ مِّنْ فَوْقِهٖ مَوْجٌ مِّنْ فَوْقِهٖ
سَحَابٌ ۗ ظُلُمٰتٌۢ بَعْضُهَا فَوْقَ بَعْضٍ ۗ اِذَآ اَخْرَجَ يَدَهٗ لَمْ يَكَدْ
يَرٰىهَا ۗ وَمَنْ لَّمْ يَجْعَلِ اللّٰهُ لَهٗ نُوْرًا فَمَا لَهٗ مِنْ نُّوْرٍ ﴿۴۰﴾ اَلَمْ تَرَ اَنَّ
اللّٰهَ يُسَبِّحُ لَهٗ مَنْ فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَالطَّيْرُ صٰٓفّٰتٍ ۗ كُلٌّ قَدْ

---

مِثال چھہ تمہِ سیٹھہِ ہنز مِثال یُوسہ اَکِس میدانس منز آسہِ یُس تاپہ سیتِ زوتان چھُو آسان، تریشہِ ہوت چھُو دُورِ وُچھتِ تتھ سیٹھہِ آب خیال کران تو پتہ چھُو تتھ کُن دوران حَتّٰىٓ اِذَا جَآءَهٗ لَمْ يَجِدْهُ شَيْـًٔا تا اینکہ یلہِ سُو تتھ خیالی آبَس پیٹھ واتان چھُو، سُو چھُونہ آبَس لبان کِنھی اَمِس چھُو جسمانی و رُوحانی صدمہ واتان تہ یہِ چھُو اَتِ تھی تریشہ تریشہ کران مَران وَّوَجَدَ اللّٰهَ عِنْدَهٗ بلکہ چھُو یہ لبان خدایہِ سندِس حُکمس تتھ جایہِ یعنی مرنکِس حُکمس۔ فَوَفّٰىهُ حِسَابَهٗ ۗ وَاللّٰهُ سَرِيْعُ الْحِسَابِ پَس چھُو اللہ تعالیٰ امسندہ عُمرہ ہُند حِساب پُورہ کران یعنی یہِ چھُو ختم سپدان اللہ تعالیٰ چھُو جلد حساب مُوکلاوَن اَوْ كَظُلُمٰتٍ فِىْ بَحْرٍ لُّجِّىٍّ يَّغْشٰىهُ مَوْجٌ مِّنْ فَوْقِهٖ مَوْجٌ مِّنْ فَوْقِهٖ سَحَابٌ ۗ ظُلُمٰتٌۢ بَعْضُهَا فَوْقَ بَعْضٍ دوٚیمہِ قسمہ کین کافرن ہنز مِثال چھہ تمن اَنہ گٹن ہنز یمہِ سَنین سمندرن منز آسن۔ یمن پیٹھ ولنہ یِیہِ اکھ مُوج تتھ پیٹھ آسہِ بیاکھ موج تمہِ پیٹھکن آسہِ اَبرتہِ۔ اَمی آسَن جمع گمژہ واریاہ اَنہ گٹہ اکھ اَکِس پیٹھ اِذَآ اَخْرَجَ يَدَهٗ لَمْ يَكَدْ يَرٰىهَا ہر گاہ اَتھ حالَس منزِ شخص تمن انہ گٹن منز سمندرہ کِس ژَکِس تل پنُن اَتھہ نیبر کڈہ سُوی ہیٚیہِ وُچھن سُو ہیکہ نہِ تتھ پنہ نِس اَتھس تہِ وُچھِت تیژ آسہِ اَنہ گٹہ وَمَنْ لَّمْ يَجْعَلِ اللّٰهُ لَهٗ نُوْرًا فَمَا لَهٗ مِنْ نُّوْرٍ بیہِ یمِس نہ اللہ تعالیٰ پنُن نُورِ ہدایت عطا کرِہ تَس ہیکہ نہ بنت کینہہ تہِ نُور تہ روشنی اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ يُسَبِّحُ لَهٗ مَنْ فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَالطَّيْرُ صٰٓفّٰتٍ کیاہ ژِہ وُچھت نا، ژِہ سپدی نا معلوم ای اِنسانہ کہ بیشک اللہ تعالیٰ اَس چھہِ بیا کی یاد کران تمِ ساری مخلوق یمِ آسمانن تہ زمین منز چھہِ بیہِ ڈڈہ ونِ جانور یمِ پنہ پکھہ مُژراوِ تھ

عَلِمَ صَلَاتَهٗ وَتَسْبِيْحَهٗ ؕ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِمَا يَفْعَلُوْنَ ﴿٤١﴾ وَلِلّٰهِ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۚ وَاِلَى اللّٰهِ الْمَصِيْرُ ﴿٤٢﴾ اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ يُزْجِيْ سَحَابًا ثُمَّ يُؤَلِّفُ بَيْنَهٗ ثُمَّ يَجْعَلُهٗ رُكَامًا فَتَرَى الْوَدْقَ يَخْرُجُ مِنْ خِلٰلِهٖ ۚ وَيُنَزِّلُ مِنَ السَّمَآءِ مِنْ جِبَالٍ فِيْهَا مِنْۢ بَرَدٍ فَيُصِيْبُ بِهٖ مَنْ يَّشَآءُ وَيَصْرِفُهٗ عَنْ مَّنْ يَّشَآءُ ؕ يَكَادُ سَنَا بَرْقِهٖ يَذْهَبُ بِالْاَبْصَارِ ﴿٤٣﴾

---

چھہ ڈ‏ڈان تہٕ پھیر ان۔ یہِ چھہ وجود صانعس پیٹھ عجائب دلیلاہ۔ کیازِ تمن جانورن ہندین جسمن ہندہ ثقلہ کہ باوجود چھہِ تم ہواوس پیٹھ مُعلق روزت اورہ یُور پھیران کُلٌّ قَدْ عَلِمَ صَلَاتَهٗ وَتَسْبِيْحَهٗ پریتھ اَکس تموجانور وأندرہ چھہ پنن نماز تہٕ دُعا۔ پنُن پنُن تسبیح تہٕ وظیفہ، الہام خدائی سیتِ معلوم۔ باوجود آں چھہِ کینہہ لُوک خدایہ سندِس توحیدس اِنکار کران وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِمَا يَفْعَلُوْنَ اللہ تعالیٰ چھُو پُورہ زانان تمِ ساری چیز یم تمِ کران چھہِ۔ سُو دِیہ تمن تتھ اِنکار واعتراضس پیٹھ پُور سزا وَلِلّٰهِ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاِلَى اللّٰهِ الْمَصِيْرُ اللہ تعالیٰ سنزی چھہ پادشہت تہٕ حکومت آسمانَن تہٕ زمینن منز۔ ازتہٕ بیہ برونٹھ تہٕ سارنی چھُو پتولاکہ واتُن تس نشہِ۔ سُو دِیہ سارنی پنہ نین کامین ہنز مُزورِ اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ يُزْجِيْ سَحَابًا ثُمَّ يُؤَلِّفُ بَيْنَهٗ ثُمَّ يَجْعَلُهٗ رُكَامًا فَتَرَى الْوَدْقَ يَخْرُجُ مِنْ خِلٰلِهٖ کیاہ ژٕہ چھےِ ناخبر کہ بیشک اللہ تعالیٰ چھُو پکہ ناوان ابرس تو پتہ چھُو ملناوان تتھ اکھ اَکس سیتِ۔ وارپھن ژرٹین چھُو کنُوی کران تو پتہ چھُو تتھ اکھ اَکس پیٹھ تھاوان۔ اتی چھُوک ژٕہ وچھان رُود نیران تمہِ اَندرہ وَيُنَزِّلُ مِنَ السَّمَآءِ مِنْ جِبَالٍ فِيْهَا مِنْۢ بَرَدٍ بیہ چھُو اللہ تعالیٰ والان اَبرہ منزہ تمہِ کیو تموبڑیو حصّو منزہ یم کوہ ہی چھہِ ڈ‏ٲٹھ فَيُصِيْبُ بِهٖ مَنْ يَّشَآءُ وَيَصْرِفُهٗ عَنْ مَّنْ يَّشَآءُ تو پتہ چھُو سُو ڈ‏ٲٹھ تراوان کانسہِ ہندِس زُوس پیٹھ یا زراعتس پیٹھ یا باغس پیٹھ یَس سُو یژھان چھُو۔ کانسہِ چھُو پھر اوان تمہِ ڈ‏ٲٹھہ نشہِ۔ تَس شخصہ سُند زُو، زراعت تہٕ باغ چھُو محفوظ روزان۔ اِتہٕ یُسند سُو یژھان چھُو يَكَادُ سَنَا بَرْقِهٖ يَذْهَبُ بِالْاَبْصَارِ تمہِ اَبرہ منزہ چھہ نیران ترٹھی وُزملاہ کہ قریب چھُو سِد ان تمن وُزملن ہُند گاش مانیہ اچھن ہندِس گاشس۔ کیاہ قدرتہٕ ڈ‏ولاہ چھُو آبہ منزہ چھُو

يُقَلِّبُ اللّٰهُ الَّيۡلَ وَالنَّهَارَ ؕ اِنَّ فِىۡ ذٰ لِكَ لَعِبۡرَةً لِّاُولِى الۡاَبۡصَارِ ﴿۴۴﴾
وَاللّٰهُ خَلَقَ كُلَّ دَآ بَّةٍ مِّنۡ مَّآءٍ ‌ۚ فَمِنۡهُمۡ مَّنۡ يَّمۡشِىۡ عَلٰى بَطۡنِهٖ ‌ۚ وَمِنۡهُمۡ
مَّنۡ يَّمۡشِىۡ عَلٰى رِجۡلَيۡنِ‌ ۚ وَمِنۡهُمۡ مَّنۡ يَّمۡشِىۡ عَلٰٓى اَرۡبَعٍ‌ ؕ يَخۡلُقُ اللّٰهُ مَا
يَشَآءُ ‌ؕ اِنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَىۡءٍ قَدِيۡرٌ ﴿۴۵﴾ لَقَدۡ اَنۡزَلۡنَاۤ اٰيٰتٍ مُّبَيِّنٰتٍ‌ ؕ وَ
اللّٰهُ يَهۡدِىۡ مَنۡ يَّشَآءُ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسۡتَقِيۡمٍ ﴿۴۶﴾ وَيَقُوۡلُوۡنَ اٰمَنَّا
بِاللّٰهِ وَبِالرَّسُوۡلِ وَاَطَعۡنَا ثُمَّ يَتَوَلّٰى فَرِيۡقٌ مِّنۡهُمۡ مِّنۡۢ بَعۡدِ
ذٰ لِكَ ‌ؕ وَمَاۤ اُولٰٓـئِكَ بِالۡمُؤۡمِنِيۡنَ ﴿۴۷﴾ وَاِذَا دُعُوۡۤا اِلَى اللّٰهِ وَرَسُوۡلِهٖ

---

نارهؤ زمله کڈان۔ يُقَلِّبُ اللّٰهُ الَّيۡلَ وَالنَّهَارَ الله تعالیٰ ای چھو پھرِ ان ته بدلاوان دوہس ته راتس اِنَّ فِىۡ
ذٰ لِكَ لَعِبۡرَةً لِّاُولِى الۡاَبۡصَارِ بیشک اتھ راته کس یئس گرٛھنس اندر چھه عبرت ته قُدرته چه بجهِ دلیله عقلهٖ
والین ہندهِ خیطره وَاللّٰهُ خَلَقَ كُلَّ دَآ بَّةٍ مِّنۡ مَّآءٍ بیهِ چھو الله تعالیٰ ان پیده کورمُت پریتھ حرکت کرهؤناه
آبه نشهِ فَمِنۡهُمۡ مَّنۡ يَّمۡشِىۡ عَلٰى بَطۡنِهٖ تموأندره چھهِ بعضی یم پکان چھهِ پتهِ یڈ سیت وَمِنۡهُمۡ مَّنۡ يَّمۡشِىۡ
عَلٰى رِجۡلَيۡنِ بیهِ چھهِ تموأندره بعضی یم پکان چھهِ دۄیو کھورَو سیتِ وَمِنۡهُمۡ مَّنۡ يَّمۡشِىۡ عَلٰٓى اَرۡبَعٍ بیهِ چھهِ
تموأندره بعضی یم پکان چھهِ ژورَو کھورَو سیت يَخۡلُقُ اللّٰهُ مَا يَشَآءُ الله تعالیٰ چھو پیده کران یه یژھان چھو
اِنَّ اللّٰهَ عَلٰى كُلِّ شَىۡءٍ قَدِيۡرٌ یُزپاٹ الله تعالیٰ چھو پریتھ چیزاه پیده کرنس پیٹھ قُدرته وول لَقَدۡ اَنۡزَلۡنَاۤ
اٰيٰتٍ مُّبَيِّنٰتٍ وَ اللّٰهُ يَهۡدِىۡ مَنۡ يَّشَآءُ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسۡتَقِيۡمٍ یُزپاٹهِ اَسهِ کرِ نازِل تمِ آیات یمِ سورُوی
نر اوهؤنِ چھهِ مگر الله تعالیٰ یمنی یژھان چھو تمنی چھو وَتھ هاوان راهِ راستس کُن وَيَقُوۡلُوۡنَ اٰمَنَّا بِاللّٰهِ
وَبِالرَّسُوۡلِ وَاَطَعۡنَا بیهِ چھهِ وَنان مُنافق لوکھ اَسهِ کرِ پژھ خدایس بیهِ پیغمبر خدایس۔ بیهِ مۄن اسهِ تہُند حُکم
دِله سیتِ ثُمَّ يَتَوَلّٰى فَرِيۡقٌ مِّنۡهُمۡ مِّنۡۢ بَعۡدِ ذٰ لِكَ مگر تو پته چھهِ تموأندره اکھ جماعتهاه بُتھ پھرِ ان
روگردانی کران خداورسوله سندِس حُکمس وَمَاۤ اُولٰٓـئِكَ بِالۡمُؤۡمِنِيۡنَ چھنهِ تمِ لوکھ باایمان وَاِذَا دُعُوۡۤا اِلَى

لِيَحْكُمَ بَيْنَهُمْ إِذَا فَرِيقٌ مِّنْهُم مُّعْرِضُونَ ﴿٤٨﴾ وَإِن يَكُن لَّهُمُ الْحَقُّ
يَأْتُوا إِلَيْهِ مُذْعِنِينَ ﴿٤٩﴾ أَفِي قُلُوبِهِم مَّرَضٌ أَمِ ارْتَابُوا أَمْ
يَخَافُونَ أَن يَحِيفَ اللَّهُ عَلَيْهِمْ وَرَسُولُهُ ۚ بَلْ أُولَٰئِكَ هُمُ الظَّالِمُونَ ﴿٥٠﴾
إِنَّمَا كَانَ قَوْلَ الْمُؤْمِنِينَ إِذَا دُعُوا إِلَى اللَّهِ وَرَسُولِهِ لِيَحْكُمَ
بَيْنَهُمْ أَن يَقُولُوا سَمِعْنَا وَأَطَعْنَا ۚ وَأُولَٰئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ ﴿٥١﴾ وَمَن
يُطِعِ اللَّهَ وَرَسُولَهُ وَيَخْشَ اللَّهَ وَيَتَّقْهِ فَأُولَٰئِكَ هُمُ الْفَائِزُونَ ﴿٥٢﴾
وَأَقْسَمُوا بِاللَّهِ جَهْدَ أَيْمَانِهِمْ لَئِنْ أَمَرْتَهُمْ لَيَخْرُجُنَّ ۖ قُل لَّا

---

اللهِ وَرَسُولِهٖ لِيَحْكُمَ بَيْنَهُمْ إِذَا فَرِيقٌ مِّنْهُم مُّعْرِضُونَ بیہ یلہِ تِمن ناد دِوان دِنہ خدائیس تہ تہندِس
پیغمبرس کُن یتھ تمِ فیصلہ کرن تمِن منز۔ اتی چھہِ اکھ جماعتھاہ تموٗ اندرہ بُتھ پھران تہندِہ حُکمہ نشہِ وَإِن
يَكُن لَّهُمُ الْحَقُّ يَأْتُوا إِلَيْهِ مُذْعِنِينَ تو پتہ ہر گاہ فیصلہ تہندِہ حقہ آسہا تیلہِ یہن نبی کریم صلی اللہ علی
وسلمس نشہِ کارنو مراوتِ أَفِي قُلُوبِهِم مَّرَضٌ أَمِ ارْتَابُوا یمن ماچھ دِلَن منز کانہہ بیماریاہ۔ کنہِ تمِ چھہِ
شکھ کران أَمْ يَخَافُونَ أَن يَحِيفَ اللَّهُ عَلَيْهِمْ وَرَسُولُهُ کنہِ کھوژان چھہِ کہ خدا تہ تہند پیغمبر ماکرِہ بے
اِنصافی۔ تمِ کیازِہ کرہ ہن بے انصافی بَلْ أُولَٰئِكَ هُمُ الظَّالِمُونَ بلکہ چھہِ تمِ مُنافقہ، سخت ظالم تہ بے
انصاف إِنَّمَا كَانَ قَوْلَ الْمُؤْمِنِينَ إِذَا دُعُوا إِلَى اللَّهِ وَرَسُولِهِ لِيَحْكُمَ بَيْنَهُمْ أَن يَقُولُوا سَمِعْنَا وَأَطَعْنَا باایمانن
ہُند قول چھُونہ یمہِ ساتہ تمِن خدائیس تہ تہندِس پیغمبرس کُن تمِن منز فیصلہ کرنہ خیطرہ ناد دِیوان دِنہ
مگر ای زِہ تمِ چھہِ ونان بخوشی بوزاسہِ حُکم تہ وندموٗن اسہ فیصلہ تُہند وَأُولَٰئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ تمِے چھہِ
کامیاب تہ رستگار سپدہ ونِ۔ اسہِ نشہِ چھُو قاعدہ کُلیہ کہِ وَمَن يُطِعِ اللَّهَ وَرَسُولَهُ وَيَخْشَ اللَّهَ وَيَتَّقْهِ فَأُولَٰئِكَ
هُمُ الْفَائِزُونَ بیہِ یُس حُکم مانہِ خدایہِ سُند بیہِ تہندِس پیغمبرہ سُند، بیہِ کھوژِہ خدائیس بیہِ بچہِ تہندِہ مُخالفت نشہِ،
پَس تمِے لوک چھہِ مطلبس تہ مُرادس واتہ ونِ وَأَقْسَمُوا بِاللَّهِ جَهْدَ أَيْمَانِهِمْ لَئِنْ أَمَرْتَهُمْ لَيَخْرُجُنَّ بیہِ

تُقْسِمُوْا ۚ طَاعَةٌ مَّعْرُوْفَةٌ ؕ اِنَّ اللّٰهَ خَبِيْرٌۢ بِمَا تَعْمَلُوْنَ ﴿۵۳﴾
قُلْ اَطِيْعُوا اللّٰهَ وَاَطِيْعُوا الرَّسُوْلَ ۚ فَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّمَا عَلَيْهِ
مَا حُمِّلَ وَعَلَيْكُمْ مَّا حُمِّلْتُمْ ؕ وَاِنْ تُطِيْعُوْهُ تَهْتَدُوْا ؕ وَمَا عَلَى
الرَّسُوْلِ اِلَّا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ ﴿۵۴﴾ وَعَدَ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مِنْكُمْ وَ
عَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَيَسْتَخْلِفَنَّهُمْ فِي الْاَرْضِ كَمَا اسْتَخْلَفَ الَّذِيْنَ
مِنْ قَبْلِهِمْ ۪ وَلَيُمَكِّنَنَّ لَهُمْ دِيْنَهُمُ الَّذِي ارْتَضٰى لَهُمْ وَلَيُبَدِّلَنَّهُمْ

---

چھِ مُنافِق زور دار قسم ہاوِت خدایِہ سند، وناں کہ ہر گاہ تُہہ اسہِ حُکم کرِو گرہ بارہ منزٕ نیر نگ، ضرور گرٕواسِ تتھ حُکمس تعمیل گرہ بار تراوِ تھ نیرو قُلْ لَّا تُقْسِمُوْا تُہہ فرماویو کھ ای مُنافِقو قسم مہ ہاوِو طَاعَةٌ مَّعْرُوْفَةٌ اَسہِ چھِہ تُہنزٕ ہ فرمانبرداری ہنز حقیقت معلومی اِنَّ اللّٰهَ خَبِيْرٌۢ بِمَا تَعْمَلُوْنَ پزٕ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُو پُور زانان تہِ سورُوی یِہ تُہہ کران چھِوہ قُلْ اَطِيْعُوا اللّٰهَ وَاَطِيْعُوا الرَّسُوْلَ فَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّمَا عَلَيْهِ مَا حُمِّلَ وَعَلَيْكُمْ مَّا حُمِّلْتُمْ تُہہ فرماویُو کھ یا رسُول اللہ کتھو سیت وَسہِ نہ نکھ کینہہ تہِ۔ فرمانبرداری کرِو خدایِہ سنز بیہ کرِو فرمانبرداری پیغمبر خدایِہ سنز۔ پَس ہر گاہ تمو مُنافِقو رو گردانی کر، پَس چھُو نہ پیغمبرس تمیک کانہہ ضرر، کیازہ تمِن چھُو مَٹہِ تبلیغ کرُن یمیک بار تمِن پیٹھ کھارنہ آمُت چھُو۔ توہہِ چھُو مَٹہِ تعمیل احکام تہ طاعت کرُن یمیک بار توہہِ پیٹھ کھارنہ آمُت چھُو وَاِنْ تُطِيْعُوْهُ تَهْتَدُوْا ون اگر تُہہ اَمِس پیغمبر برحقہ سنز فرمانبرداری کرِو۔ تیلہِ لبِو تُہہ ہدایتھ وت۔ وَمَا عَلَى الرَّسُوْلِ اِلَّا الْبَلٰغُ الْمُبِيْنُ بیہ چھُو نہ پیغمبرس پیٹھ مَٹہِ مگر خدایِہ سندِ حُکم صاف صاف تہ نزر اوِت لُوکن واتہ ناون وَعَدَ اللّٰهُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مِنْكُمْ وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَيَسْتَخْلِفَنَّهُمْ فِي الْاَرْضِ كَمَا اسْتَخْلَفَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ای سارِوی اُمّتِیو، توہہِ اَندرہ یِم ایمان اَنِن تہ رٕژٕہ کامہِ گرن، ہدایتچ پُور پیروی گرن، تمِن چھُو اللہ تعالیٰ وعدہ فرماوان کہ امہ اتباعکہِ برکتہ کرِہ سُو تمِن زمینس اندر حکُومت تہ سلطنت عطا۔ یتھہ پاٹھِ تمِن برونٹھ اہلِ ہدایت لُوکن عطا کرمژ آسن وَلَيُمَكِّنَنَّ لَهُمْ دِيْنَهُمُ الَّذِي ارْتَضٰى لَهُمْ یِہ حکومت و سلطنت دِنہ اَندرہ چھُو مقصود

مِّنۢ بَعۡدِ خَوۡفِهِمۡ اَمۡنًا ؕ يَعۡبُدُوۡنَنِىۡ لَا يُشۡرِكُوۡنَ بِىۡ شَيۡـًٔـا ؕ وَمَنۡ كَفَرَ بَعۡدَ ذٰ لِكَ فَاُولٰٓـئِكَ هُمُ الۡفٰسِقُوۡنَ ﴿۵۵﴾ وَاَقِيۡمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ وَاَطِيۡعُوا الرَّسُوۡلَ لَعَلَّكُمۡ تُرۡحَمُوۡنَ ﴿۵۶﴾ لَا تَحۡسَبَنَّ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا مُعۡجِزِيۡنَ فِى الۡاَرۡضِ ۚ وَمَاۡوٰٮهُمُ النَّارُ ؕ وَلَبِئۡسَ الۡمَصِيۡرُ ﴿۵۷﴾ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا لِيَسۡتَاۡذِنۡكُمُ الَّذِيۡنَ مَلَكَتۡ اَيۡمَانُكُمۡ وَالَّذِيۡنَ لَمۡ يَبۡلُغُوا الۡحُلُمَ مِنۡكُمۡ ثَلٰثَ مَرّٰتٍ ؕ مِنۡ

---

کہ یُس دین اللہ تعالیٰ اَن تُهندِ ہ خیطرہ پَسند کور تتھ دیہِ قوّت تہُندِ ہ آخر تیکہِ نفعہ خیطرہ یُتھ توہہِ پیٹھ کامِل رحم کرنہ ییہ۔ وَلَيُبَدِّلَنَّهُمۡ مِّنۢ بَعۡدِ خَوۡفِهِمۡ اَمۡنًا بیہِ بدلاوِہ ضرور تہُند خوف تہ بدامنی امن و امانس سیتِ۔ يَعۡبُدُوۡنَنِىۡ لَا يُشۡرِكُوۡنَ بِىۡ شَيۡـًٔـا بشرطیکہ ایمانہ سان کرن میانِ عبادت شریک ٹھہراوَن نہ کانہہ چیز اکُنہِ چیزس اندر۔ یعنی نہ کرن شرکِ جلی نہ کرن شرکِ خفی یعنی ریاء وَمَنۡ كَفَرَ بَعۡدَ ذٰ لِكَ فَاُولٰٓـئِكَ هُمُ الۡفٰسِقُوۡنَ ودِنِ یُس اکھاہ تمو وعدو تہ احسانا تو پتہ تہِ کُفرانِ نعمت کرِہ تمے لوک چھہِ فاسِق تہ نافرمان۔ وَاَقِيۡمُوا الصَّلٰوةَ وَاٰتُوا الزَّكٰوةَ وَاَطِيۡعُوا الرَّسُوۡلَ لَعَلَّكُمۡ تُرۡحَمُوۡنَ ای مسلمانو توہہِ یلہِ معلوم سُپد ایمان و عَملِ صالحُک کیاہ نتیجہ چھُو، لہٰذا اپزِہ توہہِ پابندی سان نماز پرنِ، مالِچ زکوٰۃ ادا کرنِ بیہِ باقی احکامَن اندر تہ حُکم مانُن پیغمبر بر حقہ سُند یُتھ توہہِ پیٹھ رحم ہیہ کرنہ لَا تَحۡسَبَنَّ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا مُعۡجِزِيۡنَ فِى الۡاَرۡضِ وَمَاۡوٰٮهُمُ النَّارُ وَلَبِئۡسَ الۡمَصِيۡرُ ای مخاطِب ژٕ مہ کر خیال کہِ کافر کیاہیکن اَسہِ عاجز کریتھ تہ ہارہ ناوِت زمینس منزٕ کُنہ طرفس کُن ژٕلِت تہ سانہ قہرہ نشہِ کیاہیکن تم بچتِ، بلکہِ ہارن تمے۔ بیہ سپدن تم مغلوب تہ مقُہور آخر تَس اندر چھہ تہنز جای نارِ جہنم۔ سو چھہ سیٹھاہ تچھ جای یُوت تم واتن۔ يٰۤاَيُّهَا الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا لِيَسۡتَاۡذِنۡكُمُ الَّذِيۡنَ مَلَكَتۡ اَيۡمَانُكُمۡ وَالَّذِيۡنَ لَمۡ يَبۡلُغُوا الۡحُلُمَ مِنۡكُمۡ ثَلٰثَ مَرّٰتٍ ای باایمانو توہہِ نشہِ ینہِ خیطرہ آسن اِجازت ہیوان تہُندِ نوکر تہ غلام بیہ تمِ نہ بالغ آسن ونہ سپدمتِ تہُند یو لوکٹیو اندرہ ترین ۳ وقتن مِنۡ قَبۡلِ صَلٰوةِ الۡفَجۡرِ وَحِيۡنَ تَضَعُوۡنَ ثِيَابَكُمۡ مِّنَ الظَّهِيۡرَةِ وَمِنۡۢ بَعۡدِ صَلٰوةِ

قَبْلِ صَلٰوةِ الْفَجْرِ وَحِيْنَ تَضَعُوْنَ ثِيَابَكُمْ مِّنَ الظَّهِيْرَةِ
وَمِنْۢ بَعْدِ صَلٰوةِ الْعِشَآءِ ۚ ثَلٰثُ عَوْرٰتٍ لَّكُمْ ۭ لَيْسَ عَلَيْكُمْ وَ
لَا عَلَيْهِمْ جُنَاحٌۢ بَعْدَهُنَّ ۭ طَوّٰفُوْنَ عَلَيْكُمْ بَعْضُكُمْ عَلٰى
بَعْضٍ ۭ كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ الْاٰيٰتِ ۭ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ ﴿٥٨﴾
وَاِذَا بَلَغَ الْاَطْفَالُ مِنْكُمُ الْحُلُمَ فَلْيَسْتَاْذِنُوْا كَمَا
اسْتَاْذَنَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ۭ كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ
اٰيٰتِهٖ ۭ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ ﴿٥٩﴾ وَالْقَوَاعِدُ مِنَ النِّسَآءِ الّٰتِيْ

---

**الْعِشَآءِ** اکھ صُبح نمازِہ بروتھ، بیہ ڈُپہر س یلہِ تہہ گرمہِ سببہ پلو آسوِ کڈان بیہِ خفتن نمازِہ پتہ **ثَلٰثُ عَوْرٰتٍ لَّكُمْ** یم چھہِ ترہ وقت تہندہِ پردہ کرنکِ وقت یمن وقتن چھوہ تہہ آرام واستراحت کران۔ یمن وقتن چھوہ تہہ بے تکلفی ہندِس حالتس منز روزان لہذا اگر تھن پننِ غلام تہ نابالغ لوکٹِ وارہ بوزہ ناون کہ اطلاع دنہ ورای تہِ اجازت ہینہ ورای گژھنہ تہند اسہِ نشہِ اژُن۔ **لَيْسَ عَلَيْكُمْ وَلَا عَلَيْهِمْ جُنَاحٌۢ بَعْدَهُنَّ** یمو ترِیو وقتو پتہ چھُو نہ توہہِ کانہہ حرج نہ چھُو تمن کانہہ حرج بلا اجازت توہہِ نشہِ یِنس اندر **طَوّٰفُوْنَ عَلَيْكُمْ بَعْضُكُمْ عَلٰى بَعْضٍ** تمِ چھہِ گرہ گرہ توہہِ نِش اِوہ ونِ گژھہ ونِ۔ توہہ اندرہ تہِ چھہِ اڈاڈین نشہِ اِوہ ونِ گژھہ ونِ **كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ الْاٰيٰتِ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ** تِتھے پاٹھ چھُو اللہ تعالیٰ ویژھہ ناوِتھ توہہِ بیان کران احکام۔ کیازہ اللہ تعالیٰ چھُو بندن ہنزہ سارے کامہ زانہ ڈن، سیٹھاہ حکمتہ ڈول **وَاِذَا بَلَغَ الْاَطْفَالُ مِنْكُمُ الْحُلُمَ فَلْيَسْتَاْذِنُوْا كَمَا اسْتَاْذَنَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ** بیہِ یلہِ تہندِ لوکٹِ بالغ آسن سپدان پس آسن تمِ تہِ زنانن نشہِ اژنہ خیطرہ اجازت حاصِل کران یِتھ پاٹھِ تمن ہندِ زِٹھ بالغ مرد اجازت ہیوان چھہِ **كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اٰيٰتِهٖ وَاللّٰهُ عَلِيْمٌ حَكِيْمٌ** تِتھے پاٹھِ چھُو اللہ

لَا يَرْجُوْنَ نِكَاحًا فَلَيْسَ عَلَيْهِنَّ جُنَاحٌ اَنْ يَّضَعْنَ
ثِيَابَهُنَّ غَيْرَ مُتَبَرِّجٰتٍۢ بِزِيْنَةٍ ؕ وَاَنْ يَّسْتَعْفِفْنَ
خَيْرٌ لَّهُنَّ ؕ وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ ﴿٦٠﴾ لَيْسَ عَلَى الْاَعْمٰى
حَرَجٌ وَّلَا عَلَى الْاَعْرَجِ حَرَجٌ وَّلَا عَلَى الْمَرِيْضِ حَرَجٌ
وَّلَا عَلٰٓى اَنْفُسِكُمْ اَنْ تَاْكُلُوْا مِنْۢ بُيُوْتِكُمْ اَوْ
بُيُوْتِ اٰبَآئِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ اُمَّهٰتِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ اِخْوَانِكُمْ
اَوْ بُيُوْتِ اَخَوٰتِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ اَعْمَامِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ عَمّٰتِكُمْ

---

تعالیٰ ويڙهه ناوت پنهنجا آيات بيان ڪري ٿو اي مسلمانو! الله تعالیٰ ڇهو سوروي زانهه ڏن سيٺهاهه حڪمت
وول۔ وَالْقَوَاعِدُ مِنَ النِّسَآءِ الّٰتِيْ لَا يَرْجُوْنَ نِكَاحًا فَلَيْسَ عَلَيْهِنَّ جُنَاحٌ اَنْ يَّضَعْنَ ثِيَابَهُنَّ
غَيْرَ مُتَبَرِّجٰتٍۢ بِزِيْنَةٍ بيهه بجهه زنانه يمن نه نيتهرچ ته پرينج برانتهاه ڪينهه آسه۔ تمن ڇهونه ڪانهه حرج هرگاه
تمهه سترڪ پلو مثلاً برقعه وغيره تلت پکان آسن مگر شرط ڇهوڪه نتر اوهونه آسن نه تمه پنن ڪانهه گهنه وَاَنْ
يَّسْتَعْفِفْنَ خَيْرٌ لَّهُنَّ وَاللّٰهُ سَمِيْعٌ عَلِيْمٌ بيهه هرگاه تمه نشهه ته پتهي روزن، تي ڇهو تهندهه خيطره زياده
بهتر۔ الله تعالیٰ ڇهو سوروي بوزهه ڏن، سوروي زانهه ڏن لَيْسَ عَلَى الْاَعْمٰى حَرَجٌ وَّلَا عَلَى الْاَعْرَجِ
حَرَجٌ وَّلَا عَلَى الْمَرِيْضِ حَرَجٌ ڇهونه انس ڪانهه حرج بيهه نه لنگس ڪانهه حرج، بيهه نه بيمارس ڪانهه حرج ڪه
تم ڪياه کهين غذا گاشدارن سيت، ارين انسانن سيت، تندرستن سيت وَّلَا عَلٰٓى اَنْفُسِكُمْ اَنْ تَاْكُلُوْا
مِنْۢ بُيُوْتِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ اٰبَآئِكُمْ بيهه ڇهونه توهه پانس ته ڪانهه حرج هرگاه تهه کهيو پنهيو گرو منزيا ينهه نن
مالن هندن گرن منز اَوْ بُيُوْتِ اُمَّهٰتِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ اِخْوَانِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ اَخَوٰتِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ اَعْمَامِكُمْ
اَوْ بُيُوْتِ عَمّٰتِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ اَخْوَالِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ خٰلٰتِكُمْ اَوْ مَا مَلَكْتُمْ مَّفَاتِحَهٗٓ اَوْ صَدِيْقِكُمْ

اَوْ بُيُوْتِ اَخْوَالِكُمْ اَوْ بُيُوْتِ خٰلٰتِكُمْ اَوْ مَا مَلَكْتُمْ مَّفَاتِحَهٗۤ اَوْ صَدِيْقِكُمْ ؕ لَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ اَنْ تَاْكُلُوْا جَمِيْعًا اَوْ اَشْتَاتًا ؕ فَاِذَا دَخَلْتُمْ بُيُوْتًا فَسَلِّمُوْا عَلٰۤى اَنْفُسِكُمْ تَحِيَّةً مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ مُبٰرَكَةً طَيِّبَةً ؕ كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ الْاٰيٰتِ لَعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ ﴿۶۱﴾ اِنَّمَا الْمُؤْمِنُوْنَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ وَاِذَا كَانُوْا مَعَهٗ عَلٰۤى اَمْرٍ جَامِعٍ لَّمْ يَذْهَبُوْا حَتّٰى يَسْتَاْذِنُوْهُ ؕ اِنَّ

---

یا پنہ نین ماجن ہندیو گرو منز، یا پنہ نین باین ہندیو گرو منزہ، یا پنہ نین بنین ہندیو گرو منز، یا پنہ نین پترن ہندیو گرو منزہ، یا پنہ نین پُوپھن ہندیو گروہ منزہ، یا پنہ نین مامن ہندیو گرو منزہ۔ یا پنہ نین ماسن ہندیو گرو منز یا تمو گرو منزہ یمن ہنزن کونزن ہند تہٕ مالک آسو یا یارن دُوستن ہندیو گھر و منزہ لَيْسَ عَلَيْكُمْ جُنَاحٌ اَنْ تَاْكُلُوْا جَمِيْعًا اَوْ اَشْتَاتًا کانہہ حرج چھُو نہ توہہِ ہر گاہ طعام کھیوان آسو یکہ وٹہ یا الگ الگ فَاِذَا دَخَلْتُمْ بُيُوْتًا فَسَلِّمُوْا عَلٰۤى اَنْفُسِكُمْ تَحِيَّةً مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ مُبٰرَكَةً طَيِّبَةً پس یلہِ تہٕ ای مُسلمانو تُہہ گرس اندر اژنک اِرادہ آسو کران، تمہِ وقتہِ آسو سلام کران پنہ نین لوکن پیٹھ۔ ساری مسلمان چھِ اکوی نفس اُکوی ذات ہیو سوی سلام یوسہ اللہ تعالیٰ سندہٕ طرفہ بابرکت تہٕ رژ سلام چھہ۔ سُو گو السلام علیکم كَذٰلِكَ يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمُ الْاٰيٰتِ لَعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ یتھے پاٹھہِ چھُو اللہ تعالیٰ گُھلاوِتھ تہٕ ویژھہ ناوِتھ پنِن ہدایات بیان کران، یُتھ توہہِ فکرہ ترہ تہٕ تتہٕ کرِو عمل اِنَّمَا الْمُؤْمِنُوْنَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ باایمان گئے تِمے یمو پڑھ کر معبودِ برحقس بیہِ تہندس پیغمبرس۔ وَاِذَا كَانُوْا مَعَهٗ عَلٰۤى اَمْرٍ جَامِعٍ لَّمْ يَذْهَبُوْا حَتّٰى يَسْتَاْذِنُوْهُ بیہِ یلہِ تم با ایمان پیغمبر برحقس سیتِ کُنہ ترژھہ کامہِ خیطرہ سمت آسن یتھ کامہِ اندر تہُند جمع آسُن ضروری آسہ، تمِ

الَّذِيْنَ يَسْتَاْذِنُوْنَكَ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ ۚ فَاِذَا اسْتَاْذَنُوْكَ لِبَعْضِ شَاْنِهِمْ فَاْذَنْ لِّمَنْ شِئْتَ مِنْهُمْ وَاسْتَغْفِرْ لَهُمُ اللّٰهَ ۭ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿٦٢﴾ لَا تَجْعَلُوْا دُعَآءَ الرَّسُوْلِ بَيْنَكُمْ كَدُعَآءِ بَعْضِكُمْ بَعْضًا ۭ قَدْ يَعْلَمُ اللّٰهُ الَّذِيْنَ يَتَسَلَّلُوْنَ مِنْكُمْ لِوَاذًا ۚ فَلْيَحْذَرِ الَّذِيْنَ يُخَالِفُوْنَ عَنْ اَمْرِهٖٓ

---

با ایمان لوک چھنہ تمہ مجلسہ منزہ نیران تو تان یُو تانِ نہ پیغمبر بر حقس اجازت چھہ ہیوان۔ اِنَّ الَّذِيْنَ يَسْتَاْذِنُوْنَكَ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَرَسُوْلِهٖ پزِ پاٹھ یم لوک توہہ اجازت چھہ ہیوان یا رسول اللہ تمے کیاہ چھہ ایمان انان خدایس تہ تہندِ س پیغمبر بر حقس حقیقتہ پاٹھ فَاِذَا اسْتَاْذَنُوْكَ لِبَعْضِ شَاْنِهِمْ فَاْذَنْ لِّمَنْ شِئْتَ مِنْهُمْ وَاسْتَغْفِرْ لَهُمُ اللّٰهَ پَس یلہِ تمہ اجازت منگان آسَن توہہ یا رسول اللہ پننہٕ کُنہِ ضروری کامہِ خیطرہ پَس آسوتہہ اجازت دِوان تموٲندرہ یَس یژھان آسِو تہ تَس۔ بیہ آسو اللہ تعالیٰ اَس تہندہ خیطرہ مغفرت مَنگن کیازِہ دُنیاء چ کام زانِ تمو مقدم دینچہ کامہ پیٹھ اچ تلافی سپدِ ہ تمن تہندِ ہ استغفارہ سیتہِ۔ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ پزِ پاٹھ اللہ تعالیٰ چھو سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن، سیٹھاہ رحم کرہ وُن لَا تَجْعَلُوْا دُعَآءَ الرَّسُوْلِ بَيْنَكُمْ كَدُعَآءِ بَعْضِكُمْ بَعْضًا ای مُسلمانومہ آسو رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلم سُند نادیُن یلہِ تمہِ توہہ کُنہِ اسلامی ضرورتہ خیطرہ جمع سپدُن فرماون، معمولی نادیُن زانان۔ یتھ پاٹِ تہہ اکھ اکس پانہ وان نادِ یوان چھوہ یُن تہ نہ یُن زانہو برابری بلکہ چھو تہندِ س نادس اجابت کرُن واجب۔ یا گو معنی کہ مہ آسو خیال کران تہند دُعائے خیر کرُن توہہ منز معمولی کتھاہ۔ یتھ پاٹِ تہہ اکھ اکس دُعائے خیر کرن چھوہ بلکہ چھو تہندِ س دعائے خیر کرنُس اندر سیٹھاہ خیر و برکت۔ تہنٛد دُعا چھو جلد قبول سپدان۔ یا گو معنی کہ مہ آسو تہہ تمن آلو دِوان تتھ پاٹِ یتھ پاٹِ تہہ پانہ وانِ اکھ اکس آلو دِوان چھوہ ناوہیتھ۔ بلکہ آسو تمن آلو دوان بعہدہ رسالت، یا بعہدہ نبوت۔ وَنان آسو یا رسول اللہ تہ یا نبی اللہ قَدْ يَعْلَمُ اللّٰهُ الَّذِيْنَ يَتَسَلَّلُوْنَ مِنْكُمْ لِوَاذًا اللہ تعالیٰ چھو زانان تمن

أَنْ تُصِيبَهُمْ فِتْنَةٌ أَوْ يُصِيبَهُمْ عَذَابٌ أَلِيمٌ ﴿٦٣﴾ أَلَا إِنَّ لِلَّهِ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ ۖ قَدْ يَعْلَمُ مَا أَنْتُمْ عَلَيْهِ وَيَوْمَ يُرْجَعُونَ إِلَيْهِ فَيُنَبِّئُهُمْ بِمَا عَمِلُوا ۗ وَاللَّهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيمٌ ﴿٦٤﴾

---

لوکن ہنزہ حرکژیم توہہِ اَندرہ ژُورہ ژُورہِ تُہنزہ مجلسہِ منزہ نیرنچ بلا اجازت کوشش کران چھہِ۔ تمن دِیہِ اللہ تعالیٰ سزا۔ یلہ یہ کتھ توہہ معلوم سپز کہِ اللہ تعالیٰ اَس چھُو معلوم فَلْيَحْذَرِ الَّذِينَ يُخَالِفُونَ عَنْ أَمْرِهِ أَنْ تُصِيبَهُمْ فِتْنَةٌ أَوْ يُصِيبَهُمْ عَذَابٌ أَلِيمٌ پَس گژھو ژِن تم لوک ییمہِ مخالفت چھہِ کران رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلمہ سندِہ حُکمچ، یمہ کتھ نشہِ کہِ تمن واتہِ کانہہ بڈ آفتاہ دُنیاء س اندر یا واتیکھ دود دِوہ وِن عذاباہ آخرتس اندر أَلَا إِنَّ لِلَّهِ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ وارہ بُوزِو تہ یاد تھاوِو پزپاٹ اللہ تعالیٰ سنْدُوی چھُو تہِ سورُوی یہِ آسمانَن تہ زمینن اندر چھُو تَس چھُو تتھ سارسی پیٹھ پُورہ اختیار۔ قَدْ يَعْلَمُ مَا أَنْتُمْ عَلَيْهِ یقیناً چھُو تَس معلوم تہِندسُو حال یتھ حالَس پیٹھ تُہہ چھوہ وَيَوْمَ يُرْجَعُونَ إِلَيْهِ فَيُنَبِّئُهُمْ بِمَا عَمِلُوا بیہِ یمہِ دوہہ تم تَس کُن واتناونہ ین سُو ونیکھ تہِ سورُوی یہِ تمِ کران آسِ وَاللَّهُ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيمٌ اللہ تعالیٰ چھُو پریت چیزاہ پُور زانان۔



## سُوْرَةُ الْفُرْقَانِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

تَبٰرَكَ الَّذِيْ نَزَّلَ الْفُرْقَانَ عَلٰى عَبْدِهٖ لِيَكُوْنَ لِلْعٰلَمِيْنَ نَذِيْرَا ۙ﴿۱﴾ الَّذِيْ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَلَمْ يَتَّخِذْ وَلَدًا وَّلَمْ يَكُنْ لَّهٗ شَرِيْكٌ فِي الْمُلْكِ وَخَلَقَ كُلَّ شَيْءٍ فَقَدَّرَهٗ تَقْدِيْرًا ﴿۲﴾ وَاتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖۤ اٰلِهَةً لَّا يَخْلُقُوْنَ شَيْـًٔا وَّهُمْ يُخْلَقُوْنَ وَلَا يَمْلِكُوْنَ لِاَنْفُسِهِمْ ضَرًّا وَّلَا نَفْعًا وَّلَا يَمْلِكُوْنَ مَوْتًا

---

تَبٰرَكَ الَّذِيْ نَزَّلَ الْفُرْقَانَ عَلٰى عَبْدِهٖ لِيَكُوْنَ لِلْعٰلَمِيْنَ نَذِيْرَا برکتہ ڈول چھُو سُو ذاتِ پاک یَمِ نازِل کور یِہ قرآن مجید یُس پزس تہ اپزسِ منز فرق کرہ ڈن چھُو پنہ نِس بندہِ خاصَس پیٹھ یعنی حضرتِ محمدس پیٹھ صلی اللہ علیہ وسلم۔ یُتھ سُو بندہ خاص سپدِہ، عالمین، جنن تہ انسانَن ہندِ خیطرہ، کھوژہ ناوہ ڈن خدایہ سندِہ عذابہ نشہِ۔ بیہ بیم کرہ ڈن تمنِ یِم نہ ایمان اَنَن تہ پژھ کرن کُنس خدایَس الَّذِيْ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ یُس ذات پاکہ سنز پادشہت تہ سلطنت چھہ آسمانن تہ زمینن اندر وَلَمْ يَتَّخِذْ وَلَدًا وَّلَمْ يَكُنْ لَّهٗ شَرِيْكٌ فِي الْمُلْكِ بیہِ چھُونہ تمِ قرار دِیتمت کانہہ اکھاہ پنُن اولاد۔ بیہِ چھُونہ تس کانہہ اکھاہ شریک حکومتس تہ سلطنتس منز وَخَلَقَ كُلَّ شَيْءٍ فَقَدَّرَهٗ تَقْدِيْرًا بیہِ تمِ پریت چیزاہ پیدہ کور۔ تو پتہ کوُرن پریت چیزک الگ الگ اندازہ۔ اکہ چیزک خاصیت کورُن اکھ بیہِ چیزک بیاکھ وَاتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖۤ اٰلِهَةً یُتھ صاحب کمال خدا آسِتھ تروو مُشرِ کو تسند توحید۔ تو پتہ بناوِ کھ تس ورای بیٔ چیز پننِ معبود یِم نہ کُنہِ صورتَس اندر معبود آسنس قابلِ چھہِ لَا يَخْلُقُوْنَ شَيْـًٔا وَّهُمْ يُخْلَقُوْنَ وَلَا يَمْلِكُوْنَ لِاَنْفُسِهِمْ ضَرًّا وَّلَا نَفْعًا یِمِ نہ کانہہ چیز پیدہ ہیکن کرِت کیازِہ یِمِ چھہِ پانہ پیدہ کرنہ آمت۔ بیہِ چھُونہ

وَّلَا حَيٰوةً وَّلَا نُشُوْرًا ③ وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِنْ هٰذَآ اِلَّآ اِفْكُ ِۨافْتَرٰىهُ وَاَعَانَهٗ عَلَيْهِ قَوْمٌ اٰخَرُوْنَ ۚۛ فَقَدْ جَآءُوْ ظُلْمًا وَّزُوْرًا ④ ۚۛ وَقَالُوْٓا اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ اكْتَتَبَهَا فَهِيَ تُمْلٰى عَلَيْهِ بُكْرَةً وَّاَصِيْلًا ⑤ قُلْ اَنْزَلَهُ الَّذِيْ يَعْلَمُ السِّرَّ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ اِنَّهٗ كَانَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ⑥ وَقَالُوْا

---

تمن اختیار پنہٕ نین پانٕن ہندِ ہ خیطرٕ ہ کُنہِ ضَر رکھِ تہٕ نقصانکھِ دُور کرُنک تہٕ کانہہ نفعاہ تہٕ فائداہ حاصِل کرُنک وَّلَا يَمْلِكُوْنَ مَوْتًا وَّلَا حَيٰوةً وَّلَا نُشُوْرًا بیہِ چھُو نہ تمنِ اختیار کانسہِ ہندِ ہ مارُنک یعنی کانسہِ جاندارس کیاہیکھ ہٕن زُو کڈت، نہ کانسہِ ہندِ ہ زندہ تھاوُنک یعنی کانسہ بیجانس کیاہیکھ ہٕن جاندار بناوت نہ قیامتُک دوہ نہ مرنہ پتہٕ بیہِ زندہ کرُنک۔ امہِ سارِہ گوٗی اختیار چھُو اللّٰہ تعالیٰ اَس معبُود آسنک لوازم چھہِ تِمے چیز۔ یَس منز تِم چیز چھہ، سُوی شوبہٕ معبُود، یَس منز نہ تِم چیز چھہِ سُو چھُو نہ ہرگز معبُود آسنس قابلِ وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِنْ هٰذَآ اِلَّآ اِفْكُ ِۨافْتَرٰىهُ وَاَعَانَهٗ عَلَيْهِ قَوْمٌ اٰخَرُوْنَ بیہِ وون کافرو تہٕ مُشرِکو قرآن مجیدس مُتعلق زِ یہِ چھُو بالکُل اپُز۔ یُس تِم، یعنی اَم پیغمبرن پانے ٹھہرووُمُت چھُو۔ بیہِ لُوکو اَمِس پیغمبرس یہِ اپُز ٹھہرونَس اندر مدد کورمُت۔ یعنی تِمو اہلِ کتابو یِم مُسلمان سپدمتِ آسِ، یا تِم اہلِ کتاب یِم نبی کریم صلی اللّٰہ علیہ وسلمن نشہِ یوان گرٕھان آسِ فَقَدْ جَآءُوْ ظُلْمًا وَّزُوْرًا پَس بتحقیق یِژھ کتھ وننہ سیت کور تِمو کافرو بوڈ ظُلم بیہِ ووُنُکھ سیٹھاہ بوڈ اپُز وَقَالُوْٓا اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ اكْتَتَبَهَا اتھ سیت چھہِ یِم کافر یہِ کتھ تہٕ ونان کہ یہِ قرآنِ مجید چھُو بےسَند کتھ یِمہٕ بروٗنٹھِمین لُوکن نشہِ نقل چھہ یوان کرنہ۔ یِمہ لیکھناوِمژٕ چھہ اُمّی پیغمبرن عمدٕہ عبارتَس اندر اَنِتھ وارٕہ سوچِتھ سمجِتھ صحابہ صابن ہندِ ہ اَتھ فَهِيَ تُمْلٰى عَلَيْهِ بُكْرَةً وَّاَصِيْلًا پَس چھہ تِمے کتھ لیکھناونہ یوان تِمن نشہِ صُبحَس تہٕ شامَس قُلْ اَنْزَلَهُ الَّذِيْ يَعْلَمُ السِّرَّ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ تِمہ فرماوُیو کھ یا رسُول اللّٰہ کہِ یہِ قرآن مجید کور نازِل تِمِ پروردگارن یُس زانان چھُو ساری پوٗشیدہ کتھ۔ ادہ تِمہِ کتھ آسمانن منز آسِتن یا زمینن منز آسِتَن۔ تِمی

مَالِ هٰذَا الرَّسُوْلِ يَاْكُلُ الطَّعَامَ وَيَمْشِيْ فِي الْاَسْوَاقِ ۭ لَوْلَآ اُنْزِلَ اِلَيْهِ مَلَكٌ فَيَكُوْنَ مَعَهٗ نَذِيْرًا ۝ۙ اَوْ يُلْقٰٓى اِلَيْهِ كَنْزٌ اَوْ تَكُوْنُ لَهٗ جَنَّةٌ يَّاْكُلُ مِنْهَا ۭ وَقَالَ الظّٰلِمُوْنَ اِنْ تَتَّبِعُوْنَ اِلَّا رَجُلًا مَّسْحُوْرًا ۝ اُنْظُرْ كَيْفَ ضَرَبُوْا لَكَ الْاَمْثَالَ فَضَلُّوْا فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ سَبِيْلًا ۝ۧ تَبٰرَكَ الَّذِيْٓ اِنْ شَاۗءَ جَعَلَ لَكَ خَيْرًا مِّنْ ذٰلِكَ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ

---

سببہ ڇھو یہ قرآن مجید فصاحت و بلاغتس منز مُمتاز۔ اتھ ہیُو کلام پیش کرنس اندر ڇھہِ جن تہ انسان عاجز۔ اتھ کلامس نسبت تُہنزہ یمہِ پیچھ کتھ وننہ موکھ شوبہ ہا تھوہہ سخت سزا دین مگر اِنَّهٗ كَانَ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا بیشک سُو چھُو سیٹھاہ رحم کرہ وُن سیٹھاہ مغفرت کرہ وُن۔ سُو چھونہ مجُرمَن سیتی سزا دِوان۔ مگر یہ رحم و مغفرت چھُو کُنہ خاص وقتس تان۔ سُو وقت گُذرِتھ ین امہِ قسمچہ کتھہ کرن والِ عذابس گرفتار کرنہ وَقَالُوْا مَالِ هٰذَا الرَّسُوْلِ يَاْكُلُ الطَّعَامَ وَيَمْشِيْ فِي الْاَسْوَاقِ بیہ ڇھہِ تِم کافر رسولِ کریم صلی اللہ علیہ و سلمس متعلق یہ ونان کہِ تِمس پیغمبرس کیاہ سُپد، یہ چھُو سانی پاٹھِ غذاتہِ کھیوان بیہ چھُو مُعاشک انتظام کرن خیطرہ بازرو منز پھیران لَوْلَآ اُنْزِلَ اِلَيْهِ مَلَكٌ فَيَكُوْنَ مَعَهٗ نَذِيْرًا تِمس سیت کونہ آو سوزنہ کانہہ ملکاہ۔ سُو تہِ آسہِ ہا تِمس سیت رُوِزت لُوکن خدایہ سندہ عذابہ نشہِ کھوژہ ناوان تہ بیم کران اَوْ يُلْقٰٓى اِلَيْهِ كَنْزٌ نتہ کونہِ آو تراونہ تمِن کانہہ خزاناہ۔ یمہِ پیٹھ تِم خرچ آسہَن کران۔ فکرِ معاشچ روزِہ ہانہ ضرور تُھی اَوْ تَكُوْنُ لَهٗ جَنَّةٌ يَّاْكُلُ مِنْهَا نتہ کونہ چھُو تمِن سیت کانہہ میوہ باغاہ تمی منزہ آسہَن تمِ کھیوان وَقَالَ الظّٰلِمُوْنَ اِنْ تَتَّبِعُوْنَ اِلَّا رَجُلًا مَّسْحُوْرًا بیہ ڇھہِ ونان تِم ظالمِ کافر با ایمانن، تُہہ چھوہ نہ پتہِ پتہ پکان مگر تتھ سی اَکس شخصس یَس پیٹھ سِحر تہ جود کرنہ آمُت چھُو یمہ سیت تہنز عقل بحال چھنہ رُوزمژ اُنْظُرْ كَيْفَ ضَرَبُوْا لَكَ الْاَمْثَالَ وِچھو کتھہ پاٹھِ تِم کافر توہہ پیٹھ عجیب عجیب مِثالہ بیان کران فَضَلُّوْا فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ سَبِيْلًا تمن چھہ پانس وتھ راوِمژ پَس چھنہ ہیکان تمِ

مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُۙ وَيَجْعَلْ لَّكَ قُصُوْرًا ۝۱۰ بَلْ كَذَّبُوْا بِالسَّاعَةِ ۚ وَاَعْتَدْنَا لِمَنْ كَذَّبَ بِالسَّاعَةِ سَعِيْرًا ۝۱۱ اِذَا رَاَتْهُمْ مِّنْ مَّكَانٍۭ بَعِيْدٍ سَمِعُوْا لَهَا تَغَيُّظًا وَّزَفِيْرًا ۝۱۲ وَاِذَآ اُلْقُوْا مِنْهَا مَكَانًا ضَيِّقًا مُّقَرَّنِيْنَ دَعَوْا هُنَالِكَ ثُبُوْرًا ۝۱۳ لَا تَدْعُوا الْيَوْمَ ثُبُوْرًا وَّاحِدًا وَّادْعُوْا ثُبُوْرًا كَثِيْرًا ۝۱۴ قُلْ اَذٰلِكَ خَيْرٌ اَمْ جَنَّةُ الْخُلْدِ الَّتِيْ وُعِدَ

---

وَتھ لبہِ تھے۔ تَبٰرَكَ الَّذِيْٓ اِنْ شَآءَ جَعَلَ لَكَ خَيْرًا مِّنْ ذٰلِكَ جَنّٰتٍ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ عام چھہ برکت تَس پروردگارہ سنز سیٹھاہ تھود چھُو تہند شان۔ پس ہرگاہ سُو یژھہِ ہالہہِ بازِ کیاہ چھہ کتھی بیشمار امہِ خوتہِ رتِ رتِ باغ گرِہاتوہہ عطا تمو منزِ جویہ پکان آسہن وَيَجْعَلْ لَّكَ قُصُوْرًا بیہ کرِہاسُو تہندِہ خیطرہ تمنِ باغن منز کم کمہ جایہِ تہ مکان تیار مگر بعض حکمتن ہُنٛ نظر کرِت یوژھ نہ تہِ اللہ تعالیٰ اَن۔ تِیٛچ آسنہ ضرورت تہِ۔ کیازِہ اَسِ چھنہ مجبوری تمہِ کتھہِ ہندِ کہ تِیٛچ فرمائش کافر کرن تہ کیا گرِ وأسِ پورہ بَلْ كَذَّبُوْا بِالسَّاعَةِ اصل کتھ چھہ یہِ کہِ تمِ کافر چھہِ قیامتس اپز زانان۔ تمی چھہِ تمِ بے فکری سببہ امہِ قسمچہِ کتھ کران۔ یہِ بُوتھِ یوان چھُو کھ تہِ چھہِ وو ران وَاَعْتَدْنَا لِمَنْ كَذَّبَ بِالسَّاعَةِ سَعِيْرًا اَسہِ تہِ چھُو تیار تھوومُت قیامتہ کین منکرن ہندِہ خیطرہ دزہ وُن نار۔ کیازہ قیامتس اِنکار کرنہ سیت چھُو لازم یوان خدایس تہ پیغمبر خدایس اِنکار کرُن۔ سُو چھُو اصلی سبب جہنمس اندر واتنک اِذَا رَاَتْهُمْ مِّنْ مَّكَانٍۭ بَعِيْدٍ سَمِعُوْا لَهَا تَغَيُّظًا وَّزَفِيْرًا یلہِ سُو نار وچھہِ تمنِ منکرن دُوری بُوزن تمِ تمیک خشمہ ہوت گریژن بیہِ تِیٛچہ ٹانگہ وَاِذَآ اُلْقُوْا مِنْهَا مَكَانًا ضَيِّقًا مُّقَرَّنِيْنَ توپتہ یلہِ تروانہ ین تمِ تمہِ منزہ کُنہِ تنگ جایہِ منز اکھ اکس سیتِ گنڈ پھر تھ یا اَتھہِ کھور گردنہِ سیت گنڈِت دَعَوْا هُنَالِكَ ثُبُوْرًا ژھانڈن پننہ خیطرہ ہلاکت تہ موت پانس کرن لیلہ تہ افسوس لَا تَدْعُوا الْيَوْمَ ثُبُوْرًا وَّاحِدًا وَّادْعُوْا ثُبُوْرًا كَثِيْرًا وننہ ییکھ ای کافر وٲکی پھرہ مہ ژھانڈِ وتھہٕ اَز پننہِ خیطرہ مُوت بلکہ ژھانڈِ وو اریہہِ پھرِہ

الْمُتَّقُوْنَ ۭ كَانَتْ لَهُمْ جَزَاۗءً وَّمَصِيْرًا ﴿۱۵﴾ لَهُمْ فِيْهَا مَا يَشَاۗءُوْنَ
خٰلِدِيْنَ ۭ كَانَ عَلٰي رَبِّكَ وَعْدًا مَّسْـُٔوْلًا ﴿۱۶﴾ وَيَوْمَ يَحْشُرُهُمْ
وَمَا يَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ فَيَقُوْلُ ءَاَنْتُمْ اَضْلَلْتُمْ
عِبَادِيْ هٰٓؤُلَاۗءِ اَمْ هُمْ ضَلُّوا السَّبِيْلَ ﴿۱۷﴾ۭ قَالُوْا سُبْحٰنَكَ
مَا كَانَ يَنْۢبَغِيْ لَنَآ اَنْ نَّتَّخِذَ مِنْ دُوْنِكَ مِنْ اَوْلِيَاۗءَ وَ
لٰكِنْ مَّتَّعْتَهُمْ وَاٰبَاۗءَهُمْ حَتّٰي نَسُوا الذِّكْرَ ۚ وَكَانُوْا قَوْمًۢا

قُلْ اَذٰلِكَ خَيْرٌ اَمْ جَنَّةُ الْخُلْدِ الَّتِيْ وُعِدَ الْمُتَّقُوْنَ تہٕ فرماوِیوکھ یا رسول اللہ ای کافرو یہِ افسوسناک حالت چھا رٔژ کینہ سوٚ ہمیشہ روزنٕک جنّت چھو بہتر یمیک وعدہ آو کرنہ، پرہیزگارن، خدائس کھوژہ وٕنین۔ كَانَتْ لَهُمْ جَزَاۗءً وَّمَصِيْرًا سوٚ جنت آسہ تہندِہ خیٖطرٕ ہ رٔژن عملن ہنز مزوٗر۔ بیہ آسہ تمن پتوٚلاکہ اتھ جنٔتس منز واتُن لَهُمْ فِيْهَا مَا يَشَاۗءُوْنَ خٰلِدِيْنَ تہندِہ خیٖطرٕ ہ آسہ تتھ جنٔتس منز تہٕ سوٗروی یہِ تمِ یژھن، ہمیشہ روزہ وٕنِ آسن تتھ جنٔتس منز كَانَ عَلٰي رَبِّكَ وَعْدًا مَّسْـُٔوْلًا تمن پرہیزگارن ہُنداتھ جنٔتس منز واتُن چھُوا کھ وعداہ یُس بطور فضل و عنایت سےٚ چھُو تہندِس پروردگارس پیٹھ۔ بیہ چھُو یہِ وعداہ قابلِ درخواست وَيَوْمَ يَحْشُرُهُمْ وَمَا يَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ بیہ یاوِو تمن ژیتس یمِہ دوہہٕ اللہ تعالیٰ تمن سارنی کافرن بیہ تہندین معبودان باطلن تمن ہنز پرستش تمِ معبود برحقس ورای کران آسِ جمع کرہ پانٔس بروٚنٹھ کنہٕ فَيَقُوْلُ ءَاَنْتُمْ اَضْلَلْتُمْ عِبَادِيْ هٰٓؤُلَاۗءِ اَمْ هُمْ ضَلُّوا السَّبِيْلَ توٚ پتہٕ پرٔژھہ تمنِ معبودان باطلن کیاہ توٚہی ڈالوٚکھ تمِ میانِ بندہ سیزہ وتہٕ نشہٕ۔ کِنہ تمِ ڈلِ پانٔے راہِ راستہ نشہٕ قَالُوْا سُبْحٰنَكَ مَا كَانَ يَنْۢبَغِيْ لَنَآ اَنْ نَّتَّخِذَ مِنْ دُوْنِكَ مِنْ اَوْلِيَاۗءَ تمِ دِپَن پروردگاراژہٕ چھُوکھ منزّہ تہٕ پاک۔ سوٗن کیاہ طاقت اُوس اَسِ کیاہ کرہ ہون ژہٕ ورای بیہ کانٛہہ کارسازاہ مقرّر۔ اَدہ تمِ آسِ اَسہٕ ہِو یا بیہ کانٛہہ یلہٕ اَسِ یقین چھہٕ زانان کہ معبوٗد چھُوک ژٕی یُوت بیہ نہ کانٛہہ۔ اَسِ کتھ پاٹھِ ہیکہ ہوٚلوٚکن شرکُک امر کرِتِ یا تتھ پیٹھ رضامندی ظاہر کرِت وَلٰكِنْ مَّتَّعْتَهُمْ

بُورًا ﴿١٨﴾ فَقَدْ كَذَّبُوكُم بِمَا تَقُولُونَ فَمَا تَسْتَطِيعُونَ صَرْفًا وَلَا نَصْرًا ۚ وَمَن يَظْلِم مِّنكُمْ نُذِقْهُ عَذَابًا كَبِيرًا ﴿١٩﴾ وَمَا أَرْسَلْنَا قَبْلَكَ مِنَ الْمُرْسَلِينَ إِلَّا إِنَّهُمْ لَيَأْكُلُونَ الطَّعَامَ وَيَمْشُونَ فِي الْأَسْوَاقِ ۗ وَجَعَلْنَا بَعْضَكُمْ لِبَعْضٍ فِتْنَةً أَتَصْبِرُونَ ۗ وَكَانَ رَبُّكَ بَصِيرًا ﴿٢٠﴾ ع

---

وَآبَاءَهُمْ حَتَّىٰ نَسُوا الذِّكْرَ لیکن تِم سپدِ پانے گُمراہ۔ تِمو کور شکرانِ نعمتہ بدٕل کُفران نعمت۔ حقیقت چھہ یہے کہِ ژہِ تُلناوِ تھِکھ تِم بیِہ تہندِ مالِ بڈٕہب مال دُنیاہُک تمتع یُو تان تِم نفسہ چِنٕ خواہشن تہ لذّتن اندر بوڈِت گئے۔ تیوت کہ چون یادی مُشر وُکھ وَكَانُوا قَوْمًا بُورًا تِم سپدِ پانے برباد تہ ہلاک فَقَدْ كَذَّبُوكُم بِمَا تَقُولُونَ ای کافِرو پزِ پاٹھِ تِمن معبودان باطِلن ہنز تِہہ پرستش کران آسِوہ، تِمو دِژہ قرار تِہنزہ سارے کتھ اپزہ۔ تِمو تہ کور نہ توہہِ کانہہ مدد۔ توہہِ پیٹھ چھو کھسان پُورہ پاٹھِ جُرم فَمَا تَسْتَطِيعُونَ صَرْفًا وَلَا نَصْرًا پس ہیکو نہ تُہہ پانس نشہِ عذاب دُور کٔرِتھ نہ ہیکوہ توہہِ کانہہ شخصاہ مدد کٔرِتھ وَمَن يَظْلِم مِّنكُمْ نُذِقْهُ عَذَابًا كَبِيرًا بیِہ یُس توہہِ اندر نافرمان یعنی مُشرِک آسِہ سُو ژہہ ناوون اُسِ بوڈ عذاب وَمَا أَرْسَلْنَا قَبْلَكَ مِنَ الْمُرْسَلِينَ إِلَّا إِنَّهُمْ لَيَأْكُلُونَ الطَّعَامَ وَيَمْشُونَ فِي الْأَسْوَاقِ بیِہ تِم پیغمبر اسِہ سُوزِ توہہِ برونٹھ یا رسول اللہ تِم سارِی آسِ غذاتہِ کھیوان بیِہ آسِ بازرَو منزِ معاش تلاش کرنہ خیطرہ پکان تہ پھیران۔ وَجَعَلْنَا بَعْضَكُمْ لِبَعْضٍ فِتْنَةً ای پیغمبر کریم، ای پیغمبر کریمہ سندیو تابعو یتھنہ تُہہ کافرن ہنزو کتھو سیت غمگین آسِو سپدان۔ کیازِ اسِہ چھوہ تُہہ ساری کٔرمت اکھ اکِسندہ خیطرہ آزمائش۔ حضرات انبیاءٕ کٔرِ اسِہ لُوکن ہندِہ خیطرہ آزمائش کہ کم لُوکھ کرن تہندِس بشر آسنس کُن نظر کرتِ تِمن اِنکار تہ کم لُوکھ کرن تہندین نُبوتہ کین کمالاتن کُن نظر کرِت تِمن پزٕھ تہ تصدیق أَتَصْبِرُونَ تُہہ تہِ کٔرِو صبر یعنی تُہند گژھہِ ضرور صبر کرن وَكَانَ رَبُّكَ بَصِيرًا یہ کتھ چھہ یقینی کہ تُہند پروردگار چھُو سارنی ہُند حال وُچھان۔ مُقررہو وقتس پیٹھ دِیہِ سُو

وَقَالَ الَّذِيْنَ لَا يَرْجُوْنَ لِقَآءَنَا لَوْلَآ اُنْزِلَ عَلَيْنَا الْمَلٰٓئِكَةُ اَوْ نَرٰى رَبَّنَا ؕ لَقَدِ اسْتَكْبَرُوْا فِىْٓ اَنْفُسِهِمْ وَعَتَوْ عُتُوًّا كَبِيْرًا ﴿۲۱﴾ يَوْمَ يَرَوْنَ الْمَلٰٓئِكَةَ لَا بُشْرٰى يَوْمَئِذٍ لِّلْمُجْرِمِيْنَ وَيَقُوْلُوْنَ حِجْرًا مَّحْجُوْرًا ﴿۲۲﴾ وَقَدِمْنَآ اِلٰى مَا عَمِلُوْا مِنْ عَمَلٍ فَجَعَلْنٰهُ هَبَآءً مَّنْثُوْرًا ﴿۲۳﴾ اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ يَوْمَئِذٍ خَيْرٌ مُّسْتَقَرًّا وَّاَحْسَنُ مَقِيْلًا ﴿۲۴﴾ وَيَوْمَ تَشَقَّقُ السَّمَآءُ بِالْغَمَامِ وَنُزِّلَ الْمَلٰٓئِكَةُ

---

تمن ضرور سزا۔ لہذا کیازِ چھوہ تُہہ غم کھیوان۔ وَقَالَ الَّذِيْنَ لَا يَرْجُوْنَ لِقَآءَنَا لَوْلَآ اُنْزِلَ عَلَيْنَا الْمَلٰٓئِكَةُ اَوْ نَرٰى رَبَّنَا ییہِ چھِ ونان تِم لُوکھ یمن نہ کانہہ اندیشہ چھُواسہِ برونٹھ کنہِ پیش سپدِ نُک، تتھ مُنکر آسنہ مُوکھہ کہ اسہ پیٹھ کونہ چھِ ملائک سوزنہ یِوان تُہندِ ہ تصدیقہ خیطرہ یا کونہ چھِن اَسِ تہ پنُن پروردگار وچھان، سُوی کرِہ ہاپانہ تہندِس پیغمبر آسنس تائید تہ تصدیق لَقَدِ اسْتَكْبَرُوْا فِىْٓ اَنْفُسِهِمْ وَعَتَوْ عُتُوًّا كَبِيْرًا تِمن لوکن چھِ یقیناً پننِ جایہِ پننِ پان سیٹھاہ بڈِ بوزنہِ یِوان۔ خصوصاً گورُکھ خدایس وُچھنک، تَس سیت کلامہ کرنُک تجویز پیش۔ اَمہِ سیتِ درای تِم لُوکھ اِنسانیُکہ حدّہ نِشہِ سیٹھاہ نیبر۔ ییہِ کُر تِمو بڈ سرکشی یَوْمَ يَرَوْنَ الْمَلٰٓئِكَةَ لَا بُشْرٰى يَوْمَئِذٍ لِّلْمُجْرِمِيْنَ وون یمہِ دوہہ تِم وُچھن ملائکن مُہیب صورتن اندر مرنہ وقتہ یا قیامتُک دوہ تمہِ دوہہ آسہ نہ کانہہ خوشی ہنز کتھاہ نصیب تمن نافرمانن، ملائکن یلہِ وُچھن عذابک سامانہ ہیتھ، سیٹھاہ گابرن تمہِ ساتہ وَ يَقُوْلُوْنَ حِجْرًا مَّحْجُوْرًا تتھ حالتس منز ونن تمہِ ساتہ پناہ بخُدا، پناہ بخُدا، اَسہِ گوژھہ مضبوط ٹھوراہ یمن نِشہِ حاصِل سپدُن (یمنہ ملائکن ہیکن وُچھتھ تِمہِ ہیکنہ سَنا خدایس وُچھتِ) وَقَدِمْنَآ اِلٰى مَا عَمِلُوْا مِنْ عَمَلٍ فَجَعَلْنٰهُ هَبَآءً مَّنْثُوْرًا ییہِ سپدِ واَسِ متوجہ تمنِ کافرن ہنزن رژن کامین کُن یمہِ تِمو دُنیاہس منز کرمژہ آسَن۔ پَس کرو کھ تمہِ عملہ چھکنہ آمژ گرد ہشہِ۔ کانہہ ثواباہ آسِنہ تمنِ ہُند۔ اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ يَوْمَئِذٍ خَيْرٌ مُّسْتَقَرًّا وَّاَحْسَنُ مَقِيْلًا جنتی یمن یمِ کافر ٹھٹھہ آسِ کران، آسَن تمہِ دوہہ سیٹھاہ رِت قیامگاہہ کِن تہ، آرامگاہ کِن تہِ

تَنْزِيْلًا ﴿٢٥﴾ اَلْمُلْكُ يَوْمَئِذِ ِالْحَقُّ لِلرَّحْمٰنِ ۭ وَكَانَ يَوْمًا عَلَى
الْكٰفِرِيْنَ عَسِيْرًا ﴿٢٦﴾ وَيَوْمَ يَعَضُّ الظَّالِمُ عَلٰى يَدَيْهِ يَقُوْلُ
يٰلَيْتَنِي اتَّخَذْتُ مَعَ الرَّسُوْلِ سَبِيْلًا ﴿٢٧﴾ يٰوَيْلَتٰى لَيْتَنِيْ لَمْ
اَتَّخِذْ فُلَانًا خَلِيْلًا ﴿٢٨﴾ لَقَدْ اَضَلَّنِيْ عَنِ الذِّكْرِ بَعْدَ اِذْ جَآءَنِيْ ۭ
وَكَانَ الشَّيْطٰنُ لِلْاِنْسَانِ خَذُوْلًا ﴿٢٩﴾ وَقَالَ الرَّسُوْلُ يٰرَبِّ
اِنَّ قَوْمِي اتَّخَذُوْا هٰذَا الْقُرْاٰنَ مَهْجُوْرًا ﴿٣٠﴾ وَكَذٰلِكَ جَعَلْنَا لِكُلِّ

---

یعنے جنّت آسہِ تہندہِ قیام کرنچ جای، آرام کرنچ جای۔ تمہِ کِس رُت آسنس پھُونہ ونُوی کینہہ۔ وَيَوْمَ تَشَقَّقُ السَّمَآءُ بِالْغَمَامِ وَنُزِّلَ الْمَلٰٓئِكَةُ تَنْزِيْلًا بیہِ تمہِ دوہہ آسمان اکہ بڈِہ ابرہ سیتِ پھٹہِ، بیہِ ینِ والنہ سارنی آسمانن ہند ملائک پتس پتھ زمینس پیٹھ بکثرت تمی وقتہ کرہ اللہ تعالیٰ حساب وکتابہ خیطرہ پنن تجلّی۔ اَلْمُلْكُ يَوْمَئِذِ ِالْحَقُّ لِلرَّحْمٰنِ تمہِ دوہہ آسہ سورُوی مُلک حقیقتہ پاٹھ حضرتِ رحمانہ سنُدوی۔ یعنی حساب وکتاب تہ جزاء وسزاءس منز آسہِ نہ کانسہِ ہُند دخل۔ وَكَانَ يَوْمًا عَلَى الْكٰفِرِيْنَ عَسِيْرًا بیہِ آسہِ سُو دوہ کافرن ہندہِ حقہ سیٹھاہ کُڈرتہ کریوٹھ وَيَوْمَ يَعَضُّ الظَّالِمُ عَلٰى يَدَيْهِ بیہِ ہیہِ تمی دوہہ ظالم تہ نافرمان اتھن پنہ نین ژپ يَقُوْلُ يٰلَيْتَنِي اتَّخَذْتُ مَعَ الرَّسُوْلِ سَبِيْلًا دپہِ تمی دوہہ ظالم، ای کاش کیاہ رُت گژھہِ ہامیانہِ حقہ ہرگاہ مہِ رٹمژہ آسہا رسُول خدائس سیتِ رُوزِت دینچ وَتھ يٰوَيْلَتٰى لَيْتَنِيْ لَمْ اَتَّخِذْ فُلَانًا خَلِيْلًا افسوس، کاشکے مہِ آسہِ ہانہ فلانِ بدیارس سیتِ دُوستی لاجمژ لَقَدْ اَضَلَّنِيْ عَنِ الذِّكْرِ بَعْدَ اِذْ جَآءَنِيْ پتہِ پاٹھ تمی کم نختن ڈولس بُو قرآن مجیدہ کین احکامن پیٹھ عمل کرنہ نشہِ، تمِ احکام مہِ نشہِ واتِتھ۔ وَكَانَ الشَّيْطٰنُ لِلْاِنْسَانِ خَذُوْلًا شیطان چھُو انسانس عین موقس پیٹھ مدد کرنہ نشہِ پتھ ژلان وَقَالَ الرَّسُوْلُ يٰرَبِّ اِنَّ قَوْمِي اتَّخَذُوْا هٰذَا الْقُرْاٰنَ مَهْجُوْرًا بیہِ فرماوَن تمہِ دوہہ پیغمبر خدا صلی اللہ علیہ وسلّم، ای میانہِ پروردگارہ، پتہ پاٹھ میانِ یمَ قومن زون یہ قرآن مجید یُس واجب العمل اوس، بیہودہ کلاماہ یا رُودِ تمِ امہِ نشہِ دُور، امہِ مُوجب کرکھ نہ کانہہ عملاہ، یہِ کورُکھ بالکل

نَبِيٍّ عَدُوًّا مِّنَ الْمُجْرِمِيْنَ ۭ وَكَفٰى بِرَبِّكَ هَادِيًا وَّنَصِيْرًا ﴿۳۱﴾ وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَوْلَا نُزِّلَ عَلَيْهِ الْقُرْاٰنُ جُمْلَةً وَّاحِدَةً ۚ كَذٰلِكَ ۚ لِنُثَبِّتَ بِهٖ فُؤَادَكَ وَرَتَّلْنٰهُ تَرْتِيْلًا ﴿۳۲﴾ وَلَا يَاْتُوْنَكَ بِمَثَلٍ اِلَّا جِئْنٰكَ بِالْحَقِّ وَاَحْسَنَ تَفْسِيْرًا ﴿۳۳﴾ۭ اَلَّذِيْنَ يُحْشَرُوْنَ عَلٰى وُجُوْهِهِمْ اِلٰى جَهَنَّمَ ۙ اُولٰۗىِٕكَ شَرٌّ مَّكَانًا وَّاَضَلُّ سَبِيْلًا ﴿۳۴﴾ۧ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ وَجَعَلْنَا مَعَهٗٓ اَخَاهُ هٰرُوْنَ

---

نظر انداز، اتھ کو رُکھ نہ کا نہ التفات ہو، عمل کرڻ ڇڏيائون تنهن ڪري وَكَذٰلِكَ جَعَلْنَا لِكُلِّ نَبِيٍّ عَدُوًّا مِّنَ الْمُجْرِمِيْنَ ان ڳالهه ۾ لوڪ ڇهه تهند دُشمن ٿيڻ پاڻ کي ان نافرمانو اندر ٿيا پيغمبر سندس دشمن، يه نو کتهاه ڇهنه کينهه۔ تمو پيغمبر وٿه پاڻ صبر کور ٿيڻ پاڻ کر ڏٺهه ته صبر وَكَفٰى بِرَبِّكَ هَادِيًا وَّنَصِيْرًا بس ڇهو توهه ڀُڻ پرورد گار هدايت کره ڏون۔ ڪافر وچهه هميشه پيغمبرن هنز مخالفت کر مڙ، لهذا اگر ٿهه نه اميک کانهه غم کهيون۔ الله تعالیٰ يمسندِه حقّه هدايت يڙهه لتس کره هدايت، يُس هدايته نشه محروم روزه توپته هيه سُو توهه ايذاته تکليف واته ناؤن۔ دوشونِ حالن اندر ڇھو الله تعالیٰ تهند رُبّ، توهه کافي وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَوْلَا نُزِّلَ عَلَيْهِ الْقُرْاٰنُ جُمْلَةً وَّاحِدَةً بيه ڇهه ديان ڪافر يه قرآن مجيد کونه آو نازل کرنه حضرت محمد س صلی الله علیه وسلم پيٹھ يکه وٹه، اکي ڦيره كَذٰلِكَ اسه کور نازل يه هنه هنه، آهسته، آهسته۔ لِنُثَبِّتَ بِهٖ فُؤَادَكَ وَرَتَّلْنٰهُ تَرْتِيْلًا يُتهه درراو واس امه سيت تهند دل۔ امی مُوکه کور قرآن مجيد اسه نازل واره واره وَلَا يَاْتُوْنَكَ بِمَثَلٍ اِلَّا جِئْنٰكَ بِالْحَقِّ وَاَحْسَنَ تَفْسِيْرًا بيه ڇهنه يم دُشمن توهه نشه کانهه کتهاه يا مثالاه توهه پيٹھ يا قرآن مجيد س پيٹھ طعنه زني خيطره پيش کران۔ مگر اس ڇهه تهنده بدل تمن تهن هند پوز جواب بيه تمه خوته رُت معني بيان کرت توهه نشه واتناوان۔ يه گو قولي جواب۔ وون يُس عملي جواب ايه دنه تمن سوگو اَلَّذِيْنَ يُحْشَرُوْنَ عَلٰى وُجُوْهِهِمْ اِلٰى جَهَنَّمَ اُولٰۗىِٕكَ شَرٌّ مَّكَانًا وَّاَضَلُّ سَبِيْلًا تم گئے تمے لُوک يم کله وکر من کرت بُتهه کهکهره ين پکناونه ته سونبراونه جهنّمس کُن۔ تم آسن جايه کن سيٹهاه بد تر

وَزِيرًا ﴿٣٥﴾ فَقُلْنَا اذْهَبَا إِلَى الْقَوْمِ الَّذِينَ كَذَّبُوا بِآيَاتِنَا فَدَمَّرْنَاهُمْ تَدْمِيرًا ﴿٣٦﴾ وَقَوْمَ نُوحٍ لَّمَّا كَذَّبُوا الرُّسُلَ أَغْرَقْنَاهُمْ وَجَعَلْنَاهُمْ لِلنَّاسِ آيَةً ۖ وَأَعْتَدْنَا لِلظَّالِمِينَ عَذَابًا أَلِيمًا ﴿٣٧﴾ وَعَادًا وَثَمُودَ وَأَصْحَابَ الرَّسِّ وَقُرُونًا بَيْنَ ذَٰلِكَ كَثِيرًا ﴿٣٨﴾ وَكُلًّا ضَرَبْنَا لَهُ الْأَمْثَالَ ۖ وَكُلًّا تَبَّرْنَا تَتْبِيرًا ﴿٣٩﴾ وَلَقَدْ أَتَوْا عَلَى الْقَرْيَةِ الَّتِي أُمْطِرَتْ مَطَرَ السَّوْءِ ۚ أَفَلَمْ يَكُونُوا يَرَوْنَهَا ۚ بَلْ كَانُوا لَا

---

وتہ کن سیٹھاہ ڈلمت وَلَقَدْ آتَيْنَا مُوسَى الْكِتَابَ وَجَعَلْنَا مَعَهُ أَخَاهُ هَارُونَ وَزِيرًا تحقیق بیہ کر اسہ عطا موسیٰ علیہ السلام س کتاب یعنی تورات۔ بیہ کر اسہ سو کتاب عطا کرنہ برونٹھ بُوی تھند ہارون علیہ السلام تسند وزیر تہ مددگار فَقُلْنَا اذْهَبَا إِلَى الْقَوْمِ الَّذِينَ كَذَّبُوا بِآيَاتِنَا تمہِ پتے کور حُکم اسہ تمن دوشون کہ گژھو تُہہ دوشوے تبلیغ وہدایت کرنہ خیطرہ تمن لُوکن نِشہِ یمو اپزِ زانِ سانِ توحیدکِ آیات تو پتہ گئے تم دوشوے صاحب، کورُکھ فرعونس تہ تھندس قومس تبلیغ مگر تمو مون نہ کینہہ تہ۔ فَدَمَّرْنَاهُمْ تَدْمِيرًا اَدہ گالِ تم اسہ مُولہ مونجہ۔ چنانچہ تھند غرق سپدُن چھُو مشہور و معروف وَقَوْمَ نُوحٍ لَّمَّا كَذَّبُوا الرُّسُلَ أَغْرَقْنَاهُمْ وَجَعَلْنَاهُمْ لِلنَّاسِ آيَةً بیہ یلہِ حضرت نوحہ سندِ قومن اِنکار کر پیغمبرن اسہ پھاٹو تم آبس اندر بیہ بناوِ اسہ تم لوکن ہندہ خیطرہ اکھ نِشانہ بیہ گو دُنیاءس اندر وَأَعْتَدْنَا لِلظَّالِمِينَ عَذَابًا أَلِيمًا بیہ چھُو اسہ تیار تھوومت آخرتس اندر تمن ظالمن تہ نافرمانن ہندہ خیطرہ کڈُر عذاب وَعَادًا وَثَمُودَ وَأَصْحَابَ الرَّسِّ وَقُرُونًا بَيْنَ ذَٰلِكَ كَثِيرًا بیہ کور اسہ ہلاک قوم عاد، بیہ قوم ثمود بیہ کیرِ وال (رس چھہ ونان عربی پاٹھِ کیرس) بیہ تمن منز باگ یمہِ واریاہ نافرمان اُمژہ آسہ وَكُلًّا ضَرَبْنَا لَهُ الْأَمْثَالَ وَكُلًّا تَبَّرْنَا تَتْبِيرًا بیہ کرِ بیان اسہ تمن سارنی ہندہ ہدایتہ خیطرہ عجیب عجیب تہ موثر مضامین۔ مگر یلہِ نہ تمو کینہہ تہ مون اَدہ گالِ اسہ تم ساری وَلَقَدْ أَتَوْا عَلَى الْقَرْيَةِ الَّتِي أُمْطِرَتْ مَطَرَ السَّوْءِ پزِ پاٹھِ بیہ پک تہ گذرے تمِ مُشرکین عرب شامہ کس سفرس منز تمہِ شہرہ کن یتھ منز قوم لوط بسان آسِ۔ تتھ شہرس اوس ناوٗ

يَرْجُوْنَ نُشُوْرًا ﴿٤٠﴾ وَاِذَا رَاَوْكَ اِنْ يَّتَّخِذُوْنَكَ اِلَّا هُزُوًا ؕ اَهٰذَا
الَّذِيْ بَعَثَ اللّٰهُ رَسُوْلًا ﴿٤١﴾ اِنْ كَادَ لَيُضِلُّنَا عَنْ اٰلِهَتِنَا لَوْ
لَآ اَنْ صَبَرْنَا عَلَيْهَا ؕ وَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ حِيْنَ يَرَوْنَ الْعَذَابَ
مَنْ اَضَلُّ سَبِيْلًا ﴿٤٢﴾ اَرَءَيْتَ مَنِ اتَّخَذَ اِلٰهَهٗ هَوٰىهُ ؕ اَفَاَنْتَ
تَكُوْنُ عَلَيْهِ وَكِيْلًا ﴿٤٣﴾ اَمْ تَحْسَبُ اَنَّ اَكْثَرَهُمْ يَسْمَعُوْنَ

---

"سدوم" تمن آونا فرماني هندءِ سببه آسمانه طرفه کنهِ رُود کرنه يعني کنهِ آيهه تراونه رُودکِ پاڙهِ اَفَلَمْ يَكُوْنُوْا يَرَوْنَهَا کياه تمِ مککِ کافر ڇهِناڏ ڇهان تمِ شهر تاينکه عبرت رٽه هَن بَلْ كَانُوْا لَا يَرْجُوْنَ نُشُوْرًا عبرت نه رٽنگ وجهه ڇهُونه يه کهِ تمِ کياه ڇهِنه تمِ شهرڏ ڇهان بلکه ڇهِنه تمنِ مرنه پته زِنده گرڻ ڇهِڇ کانهه اميداه ته پڙهاه۔ کيازِه تمِ ڇهِ آخرِ تس اِنکار کران۔ تمِ کافر ڇهِ ايتِ شر يرکه وَاِذَا رَاَوْكَ اِنْ يَّتَّخِذُوْنَكَ اِلَّا هُزُوًا يلهِ تمِ توههِ ڏ ڇهان ڇهِ يارسول الله صلى الله عليه وسلم تمن ڇهِنه کانهه کاماه تمهِ ساته توههِ نسبت ٺٺهه کرنه ورائے ونان ڇهِ تمِ اَهٰذَا الَّذِيْ بَعَثَ اللّٰهُ رَسُوْلًا کياه يُوهے شخص سُوزه الله تعالیٰ ان پيغمبر، يه ڇهُونه پيغمبری لائق۔ مگر کلام ته کتهه اُمسنزه ڇهه سيٺهاه مؤثرِ اِنْ كَادَ لَيُضِلُّنَا عَنْ اٰلِهَتِنَا لَوْ لَآ اَنْ صَبَرْنَا عَلَيْهَا تمهِ جادو بياني سيت اوس قريب که يه ڈالهِ هااَسه پنه نيو معبودونشهِ۔ هرگاه اَسِ تمنِ معبودن هنزهِ پرستشه پيٺه ثابت قدم روزه هو۔ پانس ڇهِ تم پانے زانان هدايتس پيٺه۔ پيغمبرس ڇهِ زانان ڈولمت۔ الله تعالیٰ ڇهو فرماوان کهِ وَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ حِيْنَ يَرَوْنَ الْعَذَابَ مَنْ اَضَلُّ سَبِيْلًا برونٺه پهَن زانن تمِ مرنه پته يلهِ واره پاٹِ ڏ ڇهَن عذاب که کُهه اکهاه اوس وَته نشهِ ڈولمت اَرَءَيْتَ مَنِ اتَّخَذَ اِلٰهَهٗ هَوٰىهُ اي پيغمبر تُهه وڇهو هَز لس شخصه سنز حالت تمِ پنُن خدا ڇهو بنوومُت پنهِ نفسچ خواهش اَفَاَنْتَ تَكُوْنُ عَلَيْهِ وَكِيْلًا کياه تُهه تلوهِ پانس پيٺه ذمه داری که تهِين هوا پرستن کياه کَرِ وه تُهه هدايت۔ يُوسه کتهه خواهشهِ مطابِق آسيکه سهو کرن قبول، يُوسه نه خواهش موافق آسيکه تته کرن رد۔ از وڇهِڇهِ اکهه کنياه جان پهَن ته تته کرکه پرستِش پگاه وڇهِڇهه بياکه کينهه تمهِ خوته جان پهَن تتهِ هٿرکه

اَوْ يَعْقِلُوْنَ ؕ اِنْ هُمْ اِلَّا كَالْاَنْعَامِ بَلْ هُمْ اَضَلُّ سَبِيْلًا ﴿۴۴﴾ ع

اَلَمْ تَرَ اِلٰى رَبِّكَ كَيْفَ مَدَّ الظِّلَّ ۚ وَلَوْ شَآءَ لَجَعَلَهٗ سَاكِنًا ۚ ثُمَّ

جَعَلْنَا الشَّمْسَ عَلَيْهِ دَلِيْلًا ﴿۴۵﴾ ثُمَّ قَبَضْنٰهُ اِلَيْنَا قَبْضًا يَّسِيْرًا ﴿۴۶﴾

وَهُوَ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الَّيْلَ لِبَاسًا وَّالنَّوْمَ سُبَاتًا وَّجَعَلَ

النَّهَارَ نُشُوْرًا ﴿۴۷﴾ وَهُوَ الَّذِيْٓ اَرْسَلَ الرِّيٰحَ بُشْرًا ۢ بَيْنَ يَدَيْ

رَحْمَتِهٖ ۚ وَاَنْزَلْنَا مِنَ السَّمَآءِ مَآءً طَهُوْرًا ﴿۴۸﴾ لِّنُحْیِۦَ بِهٖ بَلْدَةً

---

پرستش کرنِ اَمْ تَحْسَبُ اَنَّ اَكْثَرَهُمْ يَسْمَعُوْنَ اَوْ يَعْقِلُوْنَ کِنہ توہہِ چھوکیہہ گمانہ زِہ تِموٲندرہ کیاہ چھہِ زیادہ بوزان تُہند کلام شریف یا کیا چھو کھ سُو فکرہ تران کینہہ۔ سُو گُمانے مہ کٔرِو تُہہ۔ اِنْ هُمْ اِلَّا كَالْاَنْعَامِ بَلْ هُمْ اَضَلُّ سَبِيْلًا تِم چھہِ مگر چارپاء،ی بلکہِ چھہِ تِمے چارپاءَن ہندہ خوتہ بیٚڑ ڈلمتِ وتہ نِشہِ اَلَمْ تَرَ اِلٰى رَبِّكَ كَيْفَ مَدَّ الظِّلَّ وَلَوْ شَآءَ لَجَعَلَهٗ سَاكِنًا کیاہ ژٕہ وُچھُت نااَی وُچھونہِ پنہ نِس پروردگارہ سندِس قُدرتس کُن کہِ کِتھ پاٹھِ چھوز یٚتھر اوان سایہِ، یلہِ آفتاب چھو کھسان، تمہِ ساتہ چھو تمِن سارنی چیزن ہُند سایہِ زیوٗٹھ آسان تِم چیزو وتھدنہِ آسن۔ ہرگاہ سُو یژھہِ ہاتھ سایس تھاوِہ ہاکِنسی جایہِ ٹھہراوِت ثُمَّ جَعَلْنَا الشَّمْسَ عَلَيْهِ دَلِيْلًا توپتہ کوراسہِ آفتاب امہ سایک ظاہری علامت۔ آفتابہ سیتی چھو بوزنہ یوان امہ سایک زیٹھن تہ ژھوٹن۔ آفتاب نے آسہا یہ ہانہ بوزنے ثُمَّ قَبَضْنٰهُ اِلَيْنَا قَبْضًا يَّسِيْرًا توپتہ چھِن اَسِ سُو سایہ پانس کُن رٹان ہنہِ ہنہِ۔ بالآخرِ چھو سُو سایہِ معدُوم سپدان وَهُوَ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الَّيْلَ لِبَاسًا وَّالنَّوْمَ سُبَاتًا وَّجَعَلَ النَّهَارَ نُشُوْرًا بیہ گوسُو پروردگار سُوی تِم رات کٔر تُہندِہ خیطرہ پردُک چیز، بیہ یم نندرکٔر راحت و آرامُک چیز۔ بیہ تِم دوہ کور زندہ سپدُنگ تہ اورہ یُور کرہ نگ وقت وَهُوَ الَّذِيْٓ اَرْسَلَ الرِّيٰحَ بُشْرًا ۢ بَيْنَ يَدَيْ رَحْمَتِهٖ بیہ گوسُو پروردگار سُوی۔ یُس واوتراوان چھو خوشخبر ہیتھ پننہِ رحمتہ برونٹھ یعنی رُود تراونہ برونٹھ وَاَنْزَلْنَا مِنَ السَّمَآءِ مَآءً طَهُوْرًا بیہ تراووا سہِ آسمانکہ طرفہ آب یُس پاک وصاف کرہ وٕن چیزاہ چھو لِّنُحْیِۦَ بِهٖ بَلْدَةً مَّيْتًا یتھ اَسِ زِندہ

مَّيْتًا وَّنُسْقِيَهٗ مِمَّا خَلَقْنَآ اَنْعَامًا وَّاَنَاسِيَّ كَثِيْرًا ﴿٤٩﴾ وَلَقَدْ
صَرَّفْنٰهُ بَيْنَهُمْ لِيَذَّكَّرُوْا ۖ فَاَبٰٓى اَكْثَرُ النَّاسِ اِلَّا كُفُوْرًا ﴿٥٠﴾ وَلَوْ
شِئْنَا لَبَعَثْنَا فِيْ كُلِّ قَرْيَةٍ نَّذِيْرًا ﴿٥١﴾ فَلَا تُطِعِ الْكٰفِرِيْنَ وَ
جَاهِدْهُمْ بِهٖ جِهَادًا كَبِيْرًا ﴿٥٢﴾ وَهُوَ الَّذِيْ مَرَجَ الْبَحْرَيْنِ هٰذَا
عَذْبٌ فُرَاتٌ وَّهٰذَا مِلْحٌ اُجَاجٌ ۚ وَجَعَلَ بَيْنَهُمَا بَرْزَخًا وَّحِجْرًا
مَّحْجُوْرًا ﴿٥٣﴾ وَهُوَ الَّذِيْ خَلَقَ مِنَ الْمَآءِ بَشَرًا فَجَعَلَهٗ نَسَبًا

---

کرون تمہِ آبہ سیتِ مومُت زمین وَّنُسْقِيَهٗ مِمَّا خَلَقْنَآ اَنْعَامًا وَّاَنَاسِيَّ كَثِيْرًا بیہِ چاوو کھ سُو آب پنہ نیو مخلوقو اَندرہ واریاہ چارپاء بیہِ واریاہ انسان وَلَقَدْ صَرَّفْنٰهُ بَيْنَهُمْ لِيَذَّكَّرُوْا پئز پاٹھِ اسہِ کور تقسیم سُو آب تمنِ لوکن منز بقدر مصلحت یُتھ تمِ غور تہ فکر کرنِ کہِ تمِ چیز چھِ کانسہِ قدرتہ وال سندِ س اختیار س اندر یُس سزاوارِ عبادت چھُو۔ تمسنز ہ نعمژ ژیتس پاوِت کرن شُکر گذاری فَاَبٰٓى اَكْثَرُ النَّاسِ اِلَّا كُفُوْرًا مگر اکثر لوکو کور نہ کینہ تہِ کفرانِ نعمتہ ورایِ وَلَوْ شِئْنَا لَبَعَثْنَا فِيْ كُلِّ قَرْيَةٍ نَّذِيْرًا بیہِ ہرگاہ اَسِ یژھہ ہَو اَسِ سوزہ ہون پریتھ شہر س اندر اکھ اکھ پیغمبراہ مگر اسہِ سوزنہ کانہہ پیغمبراہ کیازِہ تُہہ سُوزِوہ اَسہِ یا رسُول اللہ سارسئ عالمس ژُن ژُنی صاحب قیامتس تانِ۔ یُتھ توہہِ پُورہ امیُک ثواب حاصِل سپدِہ اَمہِ نعمتُک شُکرانہ چھُو کہ فَلَا تُطِعِ الْكٰفِرِيْنَ وَجَاهِدْهُمْ بِهٖ جِهَادًا كَبِيْرًا تُہند گرژھن نہ مانِنہِ کافرن ہنزہ کتھہ۔ تہنز خواہش چھَہ کہ تبلیغ اسلام گرژھِہ نہ سپدُنوی یا گوژھ کم کم سپدُن مگر تُہنزہ گرژھن نہ مانِنہِ تمنِ کافرن ہنزہ کتھہ بلکہ گرژھِہ تمن سیتِ امی قرآن مجیدہ سیتِ زبردست مُقابلہ کرن وَهُوَ الَّذِيْ مَرَجَ الْبَحْرَيْنِ بیہِ گوسُو پروردگار سُوی تمِ ملہٕ ناوِ مختلف زہ دریا هٰذَا عَذْبٌ فُرَاتٌ وَّهٰذَا مِلْحٌ اُجَاجٌ اَکہِ دریاوُک آب چھُو سیٹھاہ مُوٹھ تہ تسکین بخش۔ بیُک آب چھُو نون سیٹھاہ ژوش تہ ٹیوٹھ باوجودِ اختلاف ظاہری چھُوہُہ آب پنہ نِس حالَس پیٹھ بیہِ یہِ آب پنہ نِس حالَس پیٹھ وَجَعَلَ بَيْنَهُمَا بَرْزَخًا وَّحِجْرًا مَّحْجُوْرًا تمن دوَن دریاوَن منز کور اللہ تعالیٰ ان اکھ ٹھوراہ یُس نہ تمن اکھ اکس سیتِ رلنہ

وَّصِهْرًا ۭ وَكَانَ رَبُّكَ قَدِيْرًا ﴿٥٤﴾ وَيَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا لَا يَنْفَعُهُمْ وَلَا يَضُرُّهُمْ ۭ وَكَانَ الْكَافِرُ عَلٰي رَبِّهٖ ظَهِيْرًا ﴿٥٥﴾ وَمَآ اَرْسَلْنٰكَ اِلَّا مُبَشِّرًا وَّنَذِيْرًا ﴿٥٦﴾ قُلْ مَآ اَسْـَٔــلُكُمْ عَلَيْهِ مِنْ اَجْرٍ اِلَّا مَنْ شَاۗءَ اَنْ يَّتَّخِذَ اِلٰى رَبِّهٖ سَبِيْلًا ﴿٥٧﴾

---

دِوان ڇهو وَهُوَ الَّذِيْ خَلَقَ مِنَ الْمَاۗءِ بَشَرًا بيهِ گو سُو پروردگار سُوي ئيم آب نطفس کور انسان پيده۔ فَجَعَلَهٗ نَسَبًا وَّصِهْرًا تو پته کورُن سُو انسان خاندانه وول۔ چنانچه مول بُڈِبب وغيره گو شرعي خاندان، مُوج، نان وغيره گو عرفي خاندان۔ يم تعلقدار ڇهس پيده سپده وُنوي پيده سپدان پته ئيلهِ امِس نيتهر کرنه يوان ڇهو تمهِ سيتِ ڇهس بےئ رشته دار، هَش، هيُوهر، همهَر وغيره پيده سپدان يه ڇه پروردِگاره سُنده قدرتُچ دليل ته که نُطفه کياه چيز اوس۔ وئن کياه سپُد۔ ايتِ رشته ته تعلقات سپدِس پيده۔ بيهِ ڇه يه نعمت ته۔ تِموتعلقاتو سيتِ ڇهو امِس انسانس معاونت ته مدد حاصل سپدان وَكَانَ رَبُّكَ قَدِيْرًا اي مُخاطب چون پروردگار ڇهو سيٹهاه قُدرته وول تِتهِس کماله والس خدايه سُنزي شوبه ها عبادت ته بندگي کرنِ مگر اُفسوس وَيَعْبُدُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا لَا يَنْفَعُهُمْ وَلَا يَضُرُّهُمْ تِمے انسان ڇهِ پرستش کران معبود حقس وراي تمئي چيزن هنز يِم نه تِمن کانه نفع هيکن واتناوِت کانه ضرر وَكَانَ الْكَافِرُ عَلٰي رَبِّهٖ ظَهِيْرًا واقعي ڇهو يه نافرمان انسان پننِس پروردگارس کُن تهر پهران ته مُخالفت کران۔ سُو تراوِت ڇهو بين هنز پرستش کران۔ مگر تُهندُ گڑهه نه اَتهه پيٹھ يا رسُول الله غمگين سپدُن کياز ِه وَمَآ اَرْسَلْنٰكَ اِلَّا مُبَشِّرًا وَّنَذِيْرًا اَسه نه حض سُوزونِه تُوهه مگر خوشخبري بوزناونه خيطره باايمانن، بيم کرنه خيطره کافرن ته نافرمانن تهندِه ايمان نه اننه سيتِ ته پڑهه نه کرنه سيتِ ڇهونه توهه کانهه نقصان لهذا کياز ِه سپدِيو تُهه غمگين قُلْ مَآ اَسْـَٔــلُكُمْ عَلَيْهِ مِنْ اَجْرٍ اِلَّا مَنْ شَاۗءَ اَنْ يَّتَّخِذَ اِلٰى رَبِّهٖ سَبِيْلًا تُهه فرماوِيوکه اي لُوکو، بوڇهوس نه منگان توهه اَتهه خوشخبري ته بيم کرنس پيٹھ کانهه مُزورياه مگر بو ڇهوس خواهش کران که تُوههِ منزه هيهِ ناکانهه شخصاه پننِس خدايس کُن وَتهه، تُهند قُرب ژهانڈنه خيطره هيهِ هاڇُن،

وَتَوَكَّلْ عَلَى الْحَيِّ الَّذِي لَا يَمُوتُ وَسَبِّحْ بِحَمْدِهِ ۚ وَكَفَىٰ بِهِ
بِذُنُوبِ عِبَادِهِ خَبِيرًا ﴿٥٨﴾ الَّذِي خَلَقَ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضَ وَمَا
بَيْنَهُمَا فِي سِتَّةِ أَيَّامٍ ثُمَّ اسْتَوَىٰ عَلَى الْعَرْشِ ۚ الرَّحْمَٰنُ فَاسْأَلْ
بِهِ خَبِيرًا ﴿٥٩﴾ وَإِذَا قِيلَ لَهُمُ اسْجُدُوا لِلرَّحْمَٰنِ قَالُوا وَمَا
الرَّحْمَٰنُ أَنَسْجُدُ لِمَا تَأْمُرُنَا وَزَادَهُمْ نُفُورًا ۩ ﴿٦٠﴾ تَبَارَكَ الَّذِي
جَعَلَ فِي السَّمَاءِ بُرُوجًا وَجَعَلَ فِيهَا سِرَاجًا وَقَمَرًا مُّنِيرًا ﴿٦١﴾
وَهُوَ الَّذِي جَعَلَ اللَّيْلَ وَالنَّهَارَ خِلْفَةً لِّمَنْ أَرَادَ أَن يَذَّكَّرَ

---

سوی آس بس میانِ مُزورِ وَتَوَكَّلْ عَلَى الْحَيِّ الَّذِي لَا يَمُوتُ بیہ کٔر وِتھہ اعتماد تہ ڈکھ یتھ تبلیغہِ کامہِ اندر تس زندس پیٹھ یُس نہ زانہہ مرہِ وَسَبِّحْ بِحَمْدِهِ وَكَفَىٰ بِهِ بِذُنُوبِ عِبَادِهِ خَبِيرًا بیہ کٔرِ وِیاد تُہند پاکی۔ بیہِ دِپیوس حمد۔ سُو چھُو پنہ نین بندن ہندین گنٔہن ہُند پُور واقف تہ خبردار الَّذِي خَلَقَ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَا فِي سِتَّةِ أَيَّامٍ تمِ پروردگارن آسمانہ تہ زمین بیہ یہِ تمِن منز چھُو پیدہ کور شیٚن دوہن ہندِس مُدتس اندر ثُمَّ اسْتَوَىٰ عَلَى الْعَرْشِ تم پتہ سپد مستوی عرشس پیٹھ تتھہ پاٹھِ یتھہ پاٹھ تُہندس شانَس سزاوار چھُو الرَّحْمَٰنُ فَاسْأَلْ بِهِ خَبِيرًا سُو چھُو سیٹھاہ رحم کرہ وُن۔ پَس پرژھ ژہ شان تُہند کانسہِ زانہ وٲنِس سُو باوی ژٕہِ تہنز رحمت کاژاہ چھَہ وَإِذَا قِيلَ لَهُمُ اسْجُدُوا لِلرَّحْمَٰنِ قَالُوا وَمَا الرَّحْمَٰنُ بیہ یلہِ وننہ یوان چھُو تمِن کافرن دیوِ سجدہ اَمِس رحمتہ والِس خدایس۔ دپان چھہِ تمِ رحمان کیاہ گو أَنَسْجُدُ لِمَا تَأْمُرُنَا وَزَادَهُمْ نُفُورًا کیاہ اَسِ دِموہ سجدہ تَس، یَس تُہہ دپِئو سجدہ دیُن۔ تمِن چھُو یہِ وٕنن زیادہ دور کران۔ یہ بوزنہ سیت چھہ تمِن زیادہ تُھر کھسان کُفر و عنادس اندر۔ تَبَارَكَ الَّذِي جَعَلَ فِي السَّمَاءِ بُرُوجًا وَجَعَلَ فِيهَا سِرَاجًا وَقَمَرًا مُّنِيرًا سیٹھاہ بابرکت تہ عالیشان چھُو سُو ذاتِ پاک یٚمِ آسمانن منزہ باہ بُرج پیدہ کٔرِ۔ بیہ کرن آسمانن اندر آفتاب ژونگ۔ کیازہ تتھ منز چھُو نورتہِ، گرمی تہِ

أَوْ أَرَادَ شُكُورًا ﴿٦٢﴾ وَعِبَادُ الرَّحْمَٰنِ الَّذِينَ يَمْشُونَ عَلَى الْأَرْضِ
هَوْنًا وَإِذَا خَاطَبَهُمُ الْجَاهِلُونَ قَالُوا سَلَامًا ﴿٦٣﴾ وَالَّذِينَ يَبِيتُونَ
لِرَبِّهِمْ سُجَّدًا وَقِيَامًا ﴿٦٤﴾ وَالَّذِينَ يَقُولُونَ رَبَّنَا اصْرِفْ عَنَّا
عَذَابَ جَهَنَّمَ ۖ إِنَّ عَذَابَهَا كَانَ غَرَامًا ﴿٦٥﴾ إِنَّهَا سَاءَتْ
مُسْتَقَرًّا وَمُقَامًا ﴿٦٦﴾ وَالَّذِينَ إِذَا أَنْفَقُوا لَمْ يُسْرِفُوا وَلَمْ
يَقْتُرُوا وَكَانَ بَيْنَ ذَٰلِكَ قَوَامًا ﴿٦٧﴾ وَالَّذِينَ لَا يَدْعُونَ

---

بيهه کرن ڙون نپه نپه کره ون. تهه منزنوري يوت گرمي وراي وَهُوَ الَّذِي جَعَلَ اللَّيْلَ وَالنَّهَارَ خِلْفَةً
لِمَنْ أَرَادَ أَنْ يَذَّكَّرَ أَوْ أَرَادَ شُكُورًا بيهه گوسو پروردگار سوي تم رات ته دوه کوراکه اکس پته اوه ڙن ته
گرشه ڙن تمس شخصه سنده فکره ترنه خيطره يس شخص فکره ترن يرشهِ يا يرشهِ امس قدرته والس منعم
حقيقيس يمن نعمڙن پيڻه شکر ڊپن. امهِ قسمک لوکه گے عبادُالرحمٰن. امهِ پته چهِ تهند صفت بيان
يوان کرنه وَعِبَادُ الرَّحْمَٰنِ الَّذِينَ يَمْشُونَ عَلَى الْأَرْضِ هَوْنًا حضرتِ رحمانه سندِ خاص بنده گے تمے تمِ
پکان چھ زمنيه پيڻه نرمي سان وَإِذَا خَاطَبَهُمُ الْجَاهِلُونَ قَالُوا سَلَامًا بيهه يله تمنِ سيت جاهل ته نادان لوک
گفتگو کرنه لگان چهِ تمِ چهکِ پننه طرفه سلام کران. تهنزن ناشايان کتھن هند چهنِه تمِ کانهه جواب
دِوان وَالَّذِينَ يَبِيتُونَ لِرَبِّهِمْ سُجَّدًا وَقِيَامًا بيهه تمِ رات گذاران چهِ پننس پروردگارس کن سجده
دِوان ته ووتهدنه روزان يعني نمازه پران، باوجود آل چھ پروردگارس کھوڙان وَالَّذِينَ يَقُولُونَ رَبَّنَا
اصْرِفْ عَنَّا عَذَابَ جَهَنَّمَ بيهه تمِ کھوڙنه متوکه دعا چهِ کران اي سانه پروردگاره دور کر اسه نشهِ
جهنمک عذاب إِنَّ عَذَابَهَا كَانَ غَرَامًا پزپاڻِ تميک عذاب چھو تباهي تله ڙن، لارِت گرشه ڙن
إِنَّهَا سَاءَتْ مُسْتَقَرًّا وَمُقَامًا پزپاڻِ سو جهنم چھو سيڻهاه تچھ جاي. روزنه خيطره بيهه بسنه خيطره
وَالَّذِينَ إِذَا أَنْفَقُوا لَمْ يُسْرِفُوا وَلَمْ يَقْتُرُوا وَكَانَ بَيْنَ ذَٰلِكَ قَوَامًا بيهه تم لوک تمِ يلهِ خرچ کران
چهِ مال پنن تهه منزنه چهِ زيادتي کران نه چهِ کمي کران بلکهِ چھو تهند خرچ کرن آسان تمن دون حالتن

مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ وَلَا یَقْتُلُوْنَ النَّفْسَ الَّتِیْ حَرَّمَ اللّٰهُ اِلَّا
بِالْحَقِّ وَلَا یَزْنُوْنَ ۚ وَمَنْ یَّفْعَلْ ذٰلِكَ یَلْقَ اَثَامًا ﴿۶۸﴾
یُّضٰعَفْ لَهُ الْعَذَابُ یَوْمَ الْقِیٰمَةِ وَیَخْلُدْ فِیْهٖ مُهَانًا ﴿۶۹﴾ اِلَّا مَنْ
تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ عَمَلًا صَالِحًا فَاُولٰٓىِٕكَ یُبَدِّلُ اللّٰهُ سَیِّاٰتِهِمْ
حَسَنٰتٍ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِیْمًا ﴿۷۰﴾ وَمَنْ تَابَ وَعَمِلَ صَالِحًا
فَاِنَّهٗ یَتُوْبُ اِلَى اللّٰهِ مَتَابًا ﴿۷۱﴾ وَالَّذِیْنَ لَا یَشْهَدُوْنَ الزُّوْرَ ۙ وَ

---

منز باگ برابر برابر افراط وتفریط ورای وَالَّذِیْنَ لَا یَدْعُوْنَ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ بیہ یم عبادت تہ پرستش چھنہ کران خدائیس سیت بیہ کانسہِ معبودہ سنز وَلَا یَقْتُلُوْنَ النَّفْسَ الَّتِیْ حَرَّمَ اللّٰهُ اِلَّا بِالْحَقِّ بیہ یمِ ناحق کانسہِ شخصس ماران تہ قتل چھنہ کران یمسُند مارُن خدائن حرام کورمُت چھُو مگرے کانہہ شخص اتھ مستحق آسہ سُو چھہ بادشاہِ وقتہ سنز کوم، عام لوکن ہنز گژھہ نہ سُو پنہ نِس اَتھس منز نِن۔ وَلَا یَزْنُوْنَ بیہ یمِ زِنا چھنہ کران وَمَنْ یَّفْعَلْ ذٰلِكَ یَلْقَ اَثَامًا یُس اکھاہ یمہِ کامہِ کرہ یعنے شرک بخدا انہ، بیہ قتل ناحق کرہِ بیہ زنا کرہِ، یتھ پاٹھِ ملک مُشرک کران آسِ سُو تلہِ تمیک سزا یُضٰعَفْ لَهُ الْعَذَابُ یَوْمَ الْقِیٰمَةِ وَیَخْلُدْ فِیْهٖ مُهَانًا دوگناونہ یِیہ تسندہ خیطرہ عذابِ قیامتک دوہ، بیہ روزِہ سُو تتھ عذابس اندر ہمیشہ خوار تہ ذلیل۔ اِلَّا مَنْ تَابَ وَاٰمَنَ وَعَمِلَ عَمَلًا صَالِحًا مگر یمِ شرک ومعاصی نِشہِ توبہ گرن، ایمان انن، توپتہ گرن رژہ عملہ فَاُولٰٓىِٕكَ یُبَدِّلُ اللّٰهُ سَیِّاٰتِهِمْ حَسَنٰتٍ پس تمنِ لوکن بدلاوہِ اللہ تعالیٰ گناہ تہندِ نیکین سیتِ وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِیْمًا اللہ تعالیٰ چھُو مغفرت کرہ وُن۔ تمہِ مُوکھہ عہناون تہند گُناہ۔ سیٹھاہ رحم کرہ وُن تمہِ مُوکھہ لیچھن تمن گنہو بدل نیکی۔ یہِ اُوس اُوتانِ تمنِ لُوکن ہندِہ خیطرہ یمِ گُفرہ نِشہِ توبہ کرن۔ اَمہِ پتہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان یمِ باایمان گُنہو نِشہِ توبہ کرنِ تہند حال وَمَنْ تَابَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَاِنَّهٗ یَتُوْبُ اِلَى اللّٰهِ مَتَابًا بیہ یُس باایمان گُنہو نِشہِ توبہ کرہِ، خدائیس کُن رُجوع کرِت رژہ عملہ گرہ یعنی آیندہ روزِہ گُنہو نِشہِ پتھ، سُو تہِ روزِہ عذابہ نِشہِ محفوظ۔ کیازِہ سُو شخص چھُو پھیران،

إِذَا مَرُّوا بِاللَّغْوِ مَرُّوا كِرَامًا ﴿٧٢﴾ وَالَّذِينَ إِذَا ذُكِّرُوا بِآيَاتِ رَبِّهِمْ لَمْ
يَخِرُّوا عَلَيْهَا صُمًّا وَعُمْيَانًا ﴿٧٣﴾ وَالَّذِينَ يَقُولُونَ رَبَّنَا هَبْ لَنَا
مِنْ أَزْوَاجِنَا وَذُرِّيَّاتِنَا قُرَّةَ أَعْيُنٍ وَاجْعَلْنَا لِلْمُتَّقِينَ إِمَامًا ﴿٧٤﴾
أُولَٰئِكَ يُجْزَوْنَ الْغُرْفَةَ بِمَا صَبَرُوا وَيُلَقَّوْنَ فِيهَا تَحِيَّةً وَسَلَامًا ﴿٧٥﴾

---

مُتوّجہ سَپدانِ خدایَس کُن۔ خاص طریقہ وَالَّذِينَ لَا يَشْهَدُونَ الزُّورَ بیہ تِم شامِل چھِنہ سَپدان اپزِین تہ بیہُودہ معاملَن تہ گَتھَن اندر یعنی تِم نہ اپز وَنان چھِہ۔ نہ اپز گواہی دِوان چھِہ گَنھِچھن۔ نہ لُہو لعبچن تہ خلاف شرع مجلسن منز گژھان چھِہ وَإِذَا مَرُّوا بِاللَّغْوِ مَرُّوا كِرَامًا بیہ تِم اتفاقاً، بلا قصد، لہو ولعب، فضول کامیو کِن گُذران چھِہ تِمہِ ساتہ چھِہ گُذران شریفانہ طریقس منز تُو کِن التفات تہ خواہشِ کرنہ ورای۔ وَالَّذِينَ إِذَا ذُكِّرُوا بِآيَاتِ رَبِّهِمْ لَمْ يَخِرُّوا عَلَيْهَا صُمًّا وَعُمْيَانًا بیہ یلہِ تِمنِ پننہ نِس پروردگاہ سندیو آیا تو سیتِ نصیحت کرنہ یِوان چھِہ تِمہِ ساتہ چھِنہ تِم زرِ تہ اَنِ ہی وَسِ پیوان بلکہ چھِہ بگوش و ہوش وارہ بوزان وَالَّذِينَ يَقُولُونَ رَبَّنَا هَبْ لَنَا مِنْ أَزْوَاجِنَا وَذُرِّيَّاتِنَا قُرَّةَ أَعْيُنٍ بیہ یتھہ پاٹھِ تِم پانہ وان اِسلامکِ شیدائی چھِہ یتھے پاٹِ چھِہ یژھان سان ژُر باژتہ گرِژھہِ دِینکِ عاشق بنِ۔ چنانچہ دُعا چھِہ منگان ای سانہِ پروردگارہ عطا کراسہِ بیہ پننہ نین زنانن ہندہ طرفہ تہ اولادن ہندہ طرفہ سُو چیز تِمہِ سیتِ سانہ اَچھِہ شیہلن تہ قرار رَٹن یعنی تِم تہِ کریکھ دیندار، عبادت گذار تاکہِ سانہِ اچھِہ شیہلن تِم دُچھِت وَاجْعَلْنَا لِلْمُتَّقِينَ إِمَامًا بیہ کرتہِ اَسہِ پرہیز گارَن ہندِ زیٹھِ۔ بُویلہِ پننہ گرُک زیٹھ کور تھَس میانہِ گرِک باژ کریکھ مُتقی تہ پرہیز گار بو سپدہ ہاپانے متّقین ہُند امام تہ زیٹھ۔ أُولَٰئِكَ يُجْزَوْنَ الْغُرْفَةَ بِمَا صَبَرُوا وَيُلَقَّوْنَ فِيهَا تَحِيَّةً وَسَلَامًا یمنی لُوکن بیہ مُزورِ دِنہ جنّتک تھدِ بنگلہ۔ دُنیاءس اندر دین واطاعتس پیٹھ صبر کرنس تہ ثابتِ قدم روزنس بدَل بیہ آسیکھ تِمنِ جنّتن منز ملائکن ہندہ طرفہ تعظیم تہ سلامہ کرنہ یِوان خَالِدِينَ فِيهَا تِمنی جنّتن اندر روزَن تِم ہمیشہ حَسُنَتْ مُسْتَقَرًّا وَمُقَامًا کیاہ رَژ جایاہ چھِہ جنّت روزنہ

خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ۭ حَسُنَتْ مُسْتَقَرًّا وَّمُقَامًا ﴿٧٦﴾ قُلْ مَا يَعْبَؤُا بِكُمْ رَبِّيْ لَوْلَا دُعَاۗؤُكُمْ ۚ فَقَدْ كَذَّبْتُمْ فَسَوْفَ يَكُوْنُ لِزَامًا ﴿٧٧﴾ ع

---

خيطره ته بسنه خيطره قُلْ مَا يَعْبَؤُا بِكُمْ رَبِّيْ لَوْلَا دُعَاۗؤُكُمْ تهه فرماوِ وعام سارنی لوکن کُن یارسول الله میُون پروردگاره کرهِ نه کُنهِ قسمه کانهه پرواهر گاه تهه تسنز عبادت کَرِ ونه فَقَدْ كَذَّبْتُمْ بتحقیق توهہِ کورِوه اَحکام اِلٰهیٖن تمِ اَپزِ زانت اِنکار فَسَوْفَ يَكُوْنُ لِزَامًا ووَن وچھِ برونٹھ پَهَن، سُو اِنکار تُهنْد ییهِ توهہِ زنگن وَلنه یعنی تمیُک سزا ییهِ توهہِ ضرُور دِنه۔



## سُوْرَةُ الشُّعَرَاءِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

طٰسٓمّٓ ① تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْمُبِيْنِ ② لَعَلَّكَ بَاخِعٌ
نَّفْسَكَ اَلَّا يَكُوْنُوْا مُؤْمِنِيْنَ ③ اِنْ نَّشَاْ نُنَزِّلْ عَلَيْهِمْ
مِّنَ السَّمَآءِ اٰيَةً فَظَلَّتْ اَعْنَاقُهُمْ لَهَا خٰضِعِيْنَ ④
وَمَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ ذِكْرٍ مِّنَ الرَّحْمٰنِ مُحْدَثٍ اِلَّا كَانُوْا عَنْهُ
مُعْرِضِيْنَ ⑤ فَقَدْ كَذَّبُوْا فَسَيَاْتِيْهِمْ اَنْۢبٰٓؤُا مَا كَانُوْا بِهٖ

---

طٰسٓمّٓ تِم چھِ حُروف مُقطّعات تِمن ہُند معنیٰ زانہِ پانہ خُدا تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْمُبِيْنِ تِمِ مضامین تِم توہِہ پیٹھ نازل سپدان چھہِ، تِم چھِ آیات تِمہِ کتابہِ ہندِ یوسہ سورُوی نر اوہ وَنِ چھہ، پُوز کیاہ چھُو اپز کیاہ چھُو۔ تِم لُوک تِم پڑھ چھِنہ کران، متہ کرِ تن۔ تُہہ کیازِہ چھِوہ یُوت غمگین سپدان لَعَلَّكَ بَاخِعٌ نَّفْسَكَ اَلَّا يَكُوْنُوْا مُؤْمِنِيْنَ شائد تُہہ ماراوِیُون ہرِ تھ پنُن پان تِمہِ غمہ سیتِ کہِ کونہ چھہ ایمان انان یتھ قرآن مجیدس۔ تُہہ مہ ہرِکھیُو امیک غم اِنْ نَّشَاْ نُنَزِّلْ عَلَيْهِمْ مِّنَ السَّمَآءِ اٰيَةً فَظَلَّتْ اَعْنَاقُهُمْ لَهَا خٰضِعِيْنَ ہرگاہ اَسِ یژھو تِم کروکھ جبراً مُسلمان یتھِ پاٹھِ کہِ اَسِ سوزو تِمن پیٹھ آسمانکہِ طرفہ اکھ نِشانہ تِمہِ سیتِ تِمنِ اختیارے سلب سپدِہ۔ تہنزِہ گردنہ تِمن بُون گُن۔ چارہ لگیکھ نہ کینہہ تہ ایمان اننہ وراۓ۔ مگر اَسِ گژھِ نہ تہِ۔ کیازہ تہ کرنہ سیتِ چھُونہ آزمائش تہ امتحان باقی روزان مگر تِمن ہنز حالت چھِہ کہِ وَمَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ ذِكْرٍ مِّنَ الرَّحْمٰنِ مُحْدَثٍ اِلَّا كَانُوْا عَنْهُ مُعْرِضِيْنَ چھِنہ واتان تِمن نِشہِ حضرتِ رحمانہ سندِہ طرفہ کانہہ نصیحتاہ وعظاہ، نووتہ تازہ مگر تِم چھِہ تِمہِ نِشہِ بُتھ پھِرِ ان فَقَدْ كَذَّبُوْا فَسَيَاْتِيْهِمْ اَنْۢبٰٓؤُا مَا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ چنانچہ یُوت پیٹھ واتژ نوبت کہِ تِموون قرآن مجید چھُو اپزِ یُس اعراضک ہیر تِمہٗ درجہ چھُو۔ اتھ گُن نظر کرتِ وونچھ یہِ

يَسْتَهْزِءُوْنَ ۝٦ اَوَلَمْ يَرَوْا اِلَى الْاَرْضِ كَمْ اَنْۢبَتْنَا فِيْهَا مِنْ كُلِّ
زَوْجٍ كَرِيْمٍ ۝٧ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً ۭ وَمَا كَانَ اَكْثَرُهُمْ مُّؤْمِنِيْنَ ۝٨
وَاِنَّ رَبَّكَ لَهُوَ الْعَزِيْزُ الرَّحِيْمُ ۝٩ وَاِذْ نَادٰى رَبُّكَ مُوْسٰٓى اَنِ
ائْتِ الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ ۝١٠ قَوْمَ فِرْعَوْنَ ۭ اَلَا يَتَّقُوْنَ ۝١١ قَالَ رَبِّ
اِنِّيْٓ اَخَافُ اَنْ يُّكَذِّبُوْنِ ۝١٢ وَيَضِيْقُ صَدْرِيْ وَلَا يَنْطَلِقُ لِسَانِيْ
فَاَرْسِلْ اِلٰى هٰرُوْنَ ۝١٣ وَلَهُمْ عَلَيَّ ذَنْۢبٌ فَاَخَافُ اَنْ يَّقْتُلُوْنِ ۝١٤

---

چھُو اپز۔ اَمہِ علاوہ کٔر کھ اتھ قرآن مجیدس ٹھٹھہ۔ ووٚنِ واتہٕ تمن نِشہِ خبر تمہِ حقیقژ یتھ تمِ ٹھٹھہ کران آسِ یلہِ عذابس گرفتار گژھن اَوَلَمْ يَرَوْا اِلَى الْاَرْضِ كَمْ اَنْۢبَتْنَا فِيْهَا مِنْ كُلِّ زَوْجٍ كَرِيْمٍ کیاہ تِموٚ چھنایَت زمینس کُن کہ کاتیاہ رتین رتین کٔلین ہندِ قسم کھارِ اَسہِ امہِ زمینہ منزہ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيَةً بیشک چھہِ اتھ منز سانہ قدرتک نِشانہ وَمَا كَانَ اَكْثَرُهُمْ مُّؤْمِنِيْنَ مگر تِموٚ اَندرہ چھہِ اکثر تِم نہ پڑھی کران چھہِ وَاِنَّ رَبَّكَ لَهُوَ الْعَزِيْزُ الرَّحِيْمُ پٔز پاٹھِ تُہند پروردگار چھُو سیٹھاہ غالب سیٹھاہ رحمتہ وول وَاِذْ نَادٰى رَبُّكَ مُوْسٰٓى تمن لوٗکن فرماوِو تمہِ وقتک قِصہٕ یتھ تمِ عبرت رٹن۔ یلہِ آلو دِیت تُہند پروردگارن موٗسیٰ کلیم اللہس اَنِ ائْتِ الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ کہ تبلیغ کرنہ گژھِ ھونا فرمان قومس قَوْمَ فِرْعَوْنَ یعنی فرعونہ سندِس قومس اَلَا يَتَّقُوْنَ کیاہ کھوژان چھنا تِم سانِس قہرس تہٕ غضبس۔ کیاہ پتھ روزن ناتِم سانہِ نافرمانی نِشہِ قَالَ رَبِّ اِنِّيْٓ اَخَافُ اَنْ يُّكَذِّبُوْنِ حضرتِ موٗسیٰ ان دوٗپ خدایا بُو چھُس گژھنہ خیطرہ تیار مگر بیم چھُم زِ تِم مازانن مہِ اَپزیور وَيَضِيْقُ صَدْرِيْ تمہِ سیتِ سپدِ تنگ دِل میون وَلَا يَنْطَلِقُ لِسَانِيْ مہِ پھورِ نہ زیوِ کہنی فَاَرْسِلْ اِلٰى هٰرُوْنَ پس سوز کھناژہ وحی میانِس برادر ہاروٗنس۔ سُو تہٕ کرِہن پیغمبر تو پتہ پکہِ ہا سُو تہٕ مہِ سیت۔ ہرگاہ تِم اَپزیور زانہ ہَن سُو کرِہا مہ تصدیق وَلَهُمْ عَلَيَّ ذَنْۢبٌ فَاَخَافُ اَنْ يَّقْتُلُوْنِ بیہ چھُو مہِ بیاکھ عرض کہ مہِ پیٹھ چھُو تُہند اکھ جُرماہ۔ مہِ چھُو خطرہ گژھان تِمہِ موٗکھ مارن تِم مہِ قَالَ كَلَّا اللہ تعالیٰ ان فرموٗدس تہٕ بَنہِ نہ ہرگز۔ ژہ ہیکی نہ اتھ لاگِت کانہہ۔

قَالَ كَلَّا ۚ فَاذْهَبَا بِآيَاتِنَا ۖ إِنَّا مَعَكُم مُّسْتَمِعُونَ ﴿١٥﴾ فَأْتِيَا فِرْعَوْنَ فَقُولَا إِنَّا رَسُولُ رَبِّ الْعَالَمِينَ ﴿١٦﴾ أَنْ أَرْسِلْ مَعَنَا بَنِي إِسْرَائِيلَ ﴿١٧﴾ قَالَ أَلَمْ نُرَبِّكَ فِينَا وَلِيدًا وَلَبِثْتَ فِينَا مِنْ عُمُرِكَ سِنِينَ ﴿١٨﴾ وَفَعَلْتَ فَعْلَتَكَ الَّتِي فَعَلْتَ وَأَنتَ مِنَ الْكَافِرِينَ ﴿١٩﴾ قَالَ فَعَلْتُهَا إِذًا وَأَنَا مِنَ الضَّالِّينَ ﴿٢٠﴾ فَفَرَرْتُ مِنكُمْ لَمَّا خِفْتُكُمْ فَوَهَبَ لِي رَبِّي حُكْمًا وَجَعَلَنِي مِنَ الْمُرْسَلِينَ ﴿٢١﴾ وَتِلْكَ نِعْمَةٌ تَمُنُّهَا عَلَيَّ

---

اَسہِ کُر عطا ہارُون علیہ السلامَس پیغمبری فَاذْهَبَا بِآيَاتِنَا إِنَّا مَعَكُم مُّسْتَمِعُونَ پس گڑھو توہیہ دوشوے میان آیات ہیتھ اَسِ تہِ چھہِ نصرت وامداد کرنہ خیطرہ توہیہ۔ سیتِ بوزان ٹُہند گفتگو فَأْتِيَا فِرْعَوْنَ فَقُولَا إِنَّا رَسُولُ رَبِّ الْعَالَمِينَ پَس واتِو تُہہ دوشوے فرعونس نِشہ۔ تو پتہ ڈیپوس اس دُوشوے چھہِ ژہ ٹُن پیغمبر پروردگارِ عالمینہ سندِہ طرفہ دَعوتِ توحیدس سیتِ یہ حُکم ہیتھ آمتِ کہ أَنْ أَرْسِلْ مَعَنَا بَنِي إِسْرَائِيلَ آزاد کرُکھ ژہ بنی اسرائیل ظلمہ نِشہِ بیہِ دِہ ژہ تمنِ اصلی وطن شامَس ٹُن اسہِ سیت گژھنہ۔ تِمِ دوشوے گئے فرعونس نِشہِ۔ تَس واتنوُکھ یہ پیغام۔ فرعونن بوزہ یمہ سارے کتھہ تو پتہ ووتھ موسیٰ علیہ السلامَس ٹُن اوہ ہو۔ تُہہ چھِوہ حض آمتِ۔ قَالَ أَلَمْ نُرَبِّكَ فِينَا وَلِيدًا وَلَبِثْتَ فِينَا مِنْ عُمُرِكَ سِنِينَ فرعونَن دوپُس ژہ ماچھُک سُوی یُس اَسہِ زیوہ وَنہِ پانہ پیٹھ پرورِش کُر مژچھہ۔ بیہِ رُودُکھ ژہ اسہِ نِش پتہِ عُمرِہ ہندین وارِیہن وَرِہَن وَفَعَلْتَ فَعْلَتَكَ الَّتِي فَعَلْتَ وَأَنتَ مِنَ الْكَافِرِينَ بیہِ کورُت ژہ سُو جُرم یُس ژہِ کورُتھ (یعنی اکھ قبطی، سانہ قومُک اکھ شخص مُور تھن) بیہِ چھُکھ ژہ توپتہ تہ کُفرانِ نعمت کرہ وِنیو اَندرہ سانِ احسانات چھی نہ یادے۔ بیہِ چھُوکھہ از آمُت مہِ پُنُن تابع بناونہ خیطرہ قَالَ فَعَلْتُهَا إِذًا وَأَنَا مِنَ الضَّالِّينَ موسیٰ علیہ السلامَن دُوپنس واقعی مہِ کُر سُہِ حرکت، مہِ گئیہ سُو غلطی۔ عمداً کورنہ مہِ سُو شخص قتل بلکہ کریو مہ تَس تھزہ غلطی پیٹھ تنبیہہ مگر سُو مُود تَمی سیت۔ قصداً مورنہ مہِ سُو فَفَرَرْتُ مِنكُمْ لَمَّا خِفْتُكُمْ فَوَهَبَ لِي رَبِّي حُكْمًا وَجَعَلَنِي مِنَ الْمُرْسَلِينَ توپتہ یلہِ بُو توہہِ

اَنۡ عَبَّدۡتَّ بَنِیۡۤ اِسۡرَآءِیۡلَ ﴿۲۲﴾ قَالَ فِرۡعَوۡنُ وَمَا رَبُّ الۡعٰلَمِیۡنَ ﴿۲۳﴾
قَالَ رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَمَا بَیۡنَہُمَا ؕ اِنۡ کُنۡتُمۡ مُّوۡقِنِیۡنَ ﴿۲۴﴾
قَالَ لِمَنۡ حَوۡلَہٗۤ اَلَا تَسۡتَمِعُوۡنَ ﴿۲۵﴾ قَالَ رَبُّکُمۡ وَرَبُّ اٰبَآئِکُمُ
الۡاَوَّلِیۡنَ ﴿۲۶﴾ قَالَ اِنَّ رَسُوۡلَکُمُ الَّذِیۡۤ اُرۡسِلَ اِلَیۡکُمۡ لَمَجۡنُوۡنٌ ﴿۲۷﴾
قَالَ رَبُّ الۡمَشۡرِقِ وَالۡمَغۡرِبِ وَمَا بَیۡنَہُمَا ؕ اِنۡ کُنۡتُمۡ تَعۡقِلُوۡنَ ﴿۲۸﴾

---

کھو ژُس بُو ژُلس توہہِ نِشہِ۔ یُس کَر مہ عطاپنِ پروردگارن عقل، علم تہ دانشمندی بیہ کورنس بُو پیغمبر و اَندرہ وَتِلۡكَ نِعۡمَةٌ تَمُنُّهَا عَلَیَّ اَنۡ عَبَّدۡتَّ بَنِیۡۤ اِسۡرَآءِیۡلَ کیاہ یہِ چھا کانہہ نعمتھاہ یمیُک ژہ مےِ پیٹھ احسان چھوکھ تھاوان کہِ میُون قوم بنی اسرائیل بنوو تھَن ژہ پنُن غلام۔ تمِ تھاوِ تھکھ ژہ بڈس ذلتس تہ ظلمس اَندر۔ تہندین لوکٹین اوسکھ ماران۔ تمی مُوکھہ تروو ہس بُو صندوقس منز دریاوس اندر۔ ژہ برو نٹھکن یلہِ بُو پُوکُس ژہ کھور تھس بُو توہ پتہ کَر تھم پرورش۔ اَمہِ پرورشہِ ہُند اَصلی وَجہہ چھُو چون ظُلم۔ اَمہِ پرورشہِ ہُند کیاہ چھُوکھ ژہ مےِ پیٹھ احسان تھاوان۔ بلکہِ پزہ ہی ژہ پنہ نین ناشائستہ حرکاتن تہ یچھ کامین پیٹھ نادم تہ پشیمان سپدُن۔ چھیہِ خبر کاتیاہ لُوکٹ مارِ تھکھ ژہ کوتاہ خونِ ناحق کورُتھ ژہِ قَالَ فِرۡعَوۡنُ وَمَا رَبُّ الۡعٰلَمِیۡنَ کتھ ڈالتھ وون فرعونن سُو ربّ العالمین کُہہ گوی۔ یمسندہ طرفہ تُہہ سوزنہ آمتِ چھوہ قَالَ رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَمَا بَیۡنَہُمَا ؕ اِنۡ کُنۡتُمۡ مُّوۡقِنِیۡنَ موسیٰ علیہ السلام ن دوپُس سُو گو آسمانن تہ زمینن بیہ تمہِ سارِکُوی پروردگار یہ تمنِ منز باگ چھُو۔ ہرگاہ توہہِ یقین کرُن چھُوہ تیلہِ چھُویہ کافی پتہ ربّ العالمینہ سُند قَالَ لِمَنۡ حَوۡلَہٗۤ اَلَا تَسۡتَمِعُوۡنَ فرعون لوگ وَننہ تمن لُوکن ییم تس اَندِ پکِ آس بہت چھوہ نا بُوزان یہ شخص کیاہ چھُو میانہِ سوالُک جواب ونان۔ میُون سوال چھُو کیاہ تاں، جواب چھُو کیاہ تاں۔ قَالَ رَبُّکُمۡ وَرَبُّ اٰبَآئِکُمُ الۡاَوَّلِیۡنَ موسیٰ علیہ السلامَن دوپُس سُو چھُو تُہند تہ بیہ تُہندین مالین بُڈبن ہُند پروردگار۔ قَالَ اِنَّ رَسُوۡلَکُمُ الَّذِیۡۤ اُرۡسِلَ اِلَیۡکُمۡ لَمَجۡنُوۡنٌ فرعون لوگ دپنہِ پنہ نین حاشیہ نشینن گن طعنہ دِوان کہِ یہِ تُہند پیغمبر یُس توہہِ گن سوزنہ آمت چھُو یہ چھُو پزٕ پاٹھِ مُوت تہ دیوانہ قَالَ رَبُّ

قَالَ لَئِنِ اتَّخَذْتَ إِلَٰهًا غَيْرِي لَأَجْعَلَنَّكَ مِنَ الْمَسْجُونِينَ ﴿۲۹﴾ قَالَ أَوَلَوْ جِئْتُكَ بِشَيْءٍ مُّبِينٍ ﴿۳۰﴾ قَالَ فَأْتِ بِهِ إِن كُنتَ مِنَ الصَّادِقِينَ ﴿۳۱﴾ فَأَلْقَىٰ عَصَاهُ فَإِذَا هِيَ ثُعْبَانٌ مُّبِينٌ ﴿۳۲﴾ وَنَزَعَ يَدَهُ فَإِذَا هِيَ بَيْضَاءُ لِلنَّاظِرِينَ ﴿۳۳﴾ قَالَ لِلْمَلَإِ حَوْلَهُ إِنَّ هَٰذَا لَسَاحِرٌ عَلِيمٌ ﴿۳۴﴾ يُرِيدُ أَن يُخْرِجَكُم مِّنْ أَرْضِكُم بِسِحْرِهِ فَمَاذَا تَأْمُرُونَ ﴿۳۵﴾ قَالُوا أَرْجِهْ وَأَخَاهُ وَابْعَثْ فِي الْمَدَائِنِ حَاشِرِينَ ﴿۳۶﴾ يَأْتُوكَ بِكُلِّ

---

الْمَشْرِقِ وَالْمَغْرِبِ وَمَا بَيْنَهُمَا إِن كُنتُمْ تَعْقِلُونَ موسیٰ علیہ السلام من دوپُس سُو چھُو مشرق و مغربُک بیہِ تمہِ سارِنُوی یہِ تتھ درمیان چھُو پروردگار۔ ہرگاہ توہہِ عقل چھُہ۔ تُمی عقلہِ سیت مانِو یہِ کتھ قَالَ لَئِنِ اتَّخَذْتَ إِلَٰهًا غَيْرِي لَأَجْعَلَنَّكَ مِنَ الْمَسْجُونِينَ فرعونن ووتھ موسیٰ علیہ السلامَس کُن ہرگاہ ژٕ مہِ ورای بیاکھ معبُود داہ ٹھہراوہن تیلہ سوزَت بُہ ژٕ قید خانَس اندر۔ تمسُند قید خانہ اوس سیٹھاہ مُشکِل۔ زمینس منز اوس اکھ سرون چھہا۔ تتھ منز آسِ دِوان برٕ تھ قیدِ س۔ تتہِ اُوس سُو مرِ تھ کھارنہ یوانِ قَالَ أَوَلَوْ جِئْتُكَ بِشَيْءٍ مُّبِينٍ موسیٰ علیہ السلامَن دوپُس کیاہ بوے ژٕ پننہِ نَس نبوَتس پیٹھ نُنِ دلیل پیش کرہ توتہِ تھوکھہ ژٕ مہ قید خانَس منز قَالَ فَأْتِ بِهِ إِن كُنتَ مِنَ الصَّادِقِينَ فرعونَن دوپُھ ہرگاہ تُہہ پوزونہ وَنیو اندرہ چھِوہ کرِ وتیلہِ دلیل پیش فَأَلْقَىٰ عَصَاهُ فَإِذَا هِيَ ثُعْبَانٌ مُّبِينٌ اَتی تراوکھ پننِ لورِہن پتھر۔ یکدم سپُد تتھ وارہ کارہ بوڈ اژدہا۔ وَنَزَعَ يَدَهُ فَإِذَا هِيَ بَيْضَاءُ لِلنَّاظِرِينَ بیہِ کوڈکھ نالہ منزہ پنُن اَتھہ۔ اَتی آو سُو بوزنہ سارنی وُچھِ و نین نپہِ نپہِ کرہ وُن۔ لُوک تھارے تہ ژلِ قَالَ لِلْمَلَإِ حَوْلَهُ إِنَّ هَٰذَا لَسَاحِرٌ عَلِيمٌ فرعون لوگ وننہِ پننہ نین حاشیہ نشین، اہلِ دربارَن، بیشک یہِ چھُو ضرُور سیٹھاہ ماہرِ ساحر يُرِيدُ أَن يُخْرِجَكُم مِّنْ أَرْضِكُم بِسِحْرِهِ فَمَاذَا تَأْمُرُونَ اَمسُند ارادہ چھُو کہ تُہہِ کڈِ وہ یہِ پننہِ وطنہ منزہ پَس کیاہ چھُو تُہند مشورہ قَالُوا أَرْجِهْ وَأَخَاهُ وَابْعَثْ فِي الْمَدَائِنِ حَاشِرِينَ تمو دوپُس مُہلت دِہ ژٕ اَمِس یعنی موسیٰ علیہ السلامَس بیہِ امسندِ س بایس۔ یہندِ س مارنَس یا قید کرنَس اندر مہ کر ژٕ جلدی۔ ژٕ سوزُن پننہ نین

سَحَّارٍ عَلِيمٍ ﴿٣٧﴾ فَجُمِعَ السَّحَرَةُ لِمِيقَاتِ يَوْمٍ مَّعْلُومٍ ﴿٣٨﴾ وَقِيلَ
لِلنَّاسِ هَلْ أَنتُم مُّجْتَمِعُونَ ﴿٣٩﴾ لَعَلَّنَا نَتَّبِعُ السَّحَرَةَ إِن
كَانُوا هُمُ الْغَالِبِينَ ﴿٤٠﴾ فَلَمَّا جَاءَ السَّحَرَةُ قَالُوا لِفِرْعَوْنَ أَئِنَّ
لَنَا لَأَجْرًا إِن كُنَّا نَحْنُ الْغَالِبِينَ ﴿٤١﴾ قَالَ نَعَمْ وَإِنَّكُمْ إِذًا لَّمِنَ
الْمُقَرَّبِينَ ﴿٤٢﴾ قَالَ لَهُم مُّوسَىٰ أَلْقُوا مَا أَنتُم مُّلْقُونَ ﴿٤٣﴾
فَأَلْقَوْا حِبَالَهُمْ وَعِصِيَّهُمْ وَقَالُوا بِعِزَّةِ فِرْعَوْنَ إِنَّا لَنَحْنُ
الْغَالِبُونَ ﴿٤٤﴾ فَأَلْقَىٰ مُوسَىٰ عَصَاهُ فَإِذَا هِيَ تَلْقَفُ مَا يَأْفِكُونَ ﴿٤٥﴾

---

مملڪت ڪين مختلف شهرن کُن اک جماعتهاه تمِ ساحرن ته جادوگرن سونبرن ته جمع گرن يَأْتُوكَ بِكُلِّ سَحَّارٍ عَلِيمٍ تمِ واتناون ژه نشهِ ساري مملڪتڪِ ساحر ته جادوگر فَجُمِعَ السَّحَرَةُ لِمِيقَاتِ يَوْمٍ مَّعْلُومٍ تو پته آي سونبرنه ساري جادوگر تمهِ دُوهه ڪِس وقتس پيٹھ يُس مقرر ڪرنه اوس آمُت۔ سو گو ڪاجُڪ وقت۔ ١٠ مُحرم روزعاشور اُيس تمن يوم الزينة، عيد هُند دوه اُوس وَقِيلَ لِلنَّاسِ هَلْ أَنتُم مُّجْتَمِعُونَ بيهِ آوونه مِصره ڪين لُوڪن فرعونه سندِه طرفه ڪياه تُهه تهِ سپديوه جمع اته مجمعس سيتِ لَعَلَّنَا نَتَّبِعُ السَّحَرَةَ إِن كَانُوا هُمُ الْغَالِبِينَ يُتھ اُسِ فيصله ڪُرتِ جادوگرن هنز پيروي ڪرو۔ هرگاه تمِ غالب سپدِ فَلَمَّا جَاءَ السَّحَرَةُ قَالُوا لِفِرْعَوْنَ ادهيلهِ ساحر آي تمِ لگ وننهِ فرعونس۔ أَئِنَّ لَنَا لَأَجْرًا إِن كُنَّا نَحْنُ الْغَالِبِينَ ڪياه اسهِ ميلياضرور مزورِ ته انعام هرگاه اُسِ غالِب سپدو قَالَ نَعَمْ وَإِنَّكُمْ إِذًا لَّمِنَ الْمُقَرَّبِينَ فرعونن دُوپُھ اکھ مُزورِ، بيهِ سپدِ وُتهه ميانيو مُقرّبو اَندره قَالَ لَهُم مُّوسَىٰ أَلْقُوا مَا أَنتُم مُّلْقُونَ حضرتِ موسیٰ اَن دُوپ تمنِ ساحرن تراوِ ڪياه چھوه توههِ تراوُن فَأَلْقَوْا حِبَالَهُمْ وَعِصِيَّهُمْ وَقَالُوا بِعِزَّةِ فِرْعَوْنَ إِنَّا لَنَحْنُ الْغَالِبُونَ توپته تراوِه تموپننهِ رزه ته پننهِ لورِه۔ يمهِ جاده که اَثره سيت سرف هی معلوم سپدان آسِ۔ بيهِ لگِ دپنه فرعونه سندِه اقبالڪ چھوم قسم که اَسی چھ زورس منز۔ فتح آسهِ ساني فَأَلْقَىٰ مُوسَىٰ

فَأُلْقِيَ السَّحَرَةُ سٰجِدِيْنَ ﴿٤٦﴾ قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٤٧﴾ رَبِّ مُوْسٰى وَهٰرُوْنَ ﴿٤٨﴾ قَالَ اٰمَنْتُمْ لَهٗ قَبْلَ اَنْ اٰذَنَ لَكُمْ ۚ اِنَّهٗ لَكَبِيْرُكُمُ الَّذِيْ عَلَّمَكُمُ السِّحْرَ ۚ فَلَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ ۭ لَاُقَطِّعَنَّ اَيْدِيَكُمْ وَاَرْجُلَكُمْ مِّنْ خِلَافٍ وَّلَاُوصَلِّبَنَّكُمْ اَجْمَعِيْنَ ﴿٤٩﴾ قَالُوْا لَا ضَيْرَ ۡ اِنَّآ اِلٰى رَبِّنَا مُنْقَلِبُوْنَ ﴿٥٠﴾ اِنَّا نَطْمَعُ اَنْ يَّغْفِرَ لَنَا رَبُّنَا خَطٰيٰنَآ اَنْ كُنَّآ اَوَّلَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٥١﴾ وَاَوْحَيْنَآ اِلٰى مُوْسٰٓى اَنْ اَسْرِ بِعِبَادِيْٓ اِنَّكُمْ مُّتَّبَعُوْنَ ﴿٥٢﴾

---

عَصَاهُ فَاِذَا هِيَ تَلْقَفُ مَا يَاْفِكُوْنَ تو پتہ تروو موسیٰ علیہ السلامَن پنُن عصا حکمِ خدا۔ اتی ہیوت تمِ تراوان تراوانی نیگہ لاون تہٕ سوروی یہ تمو تیار کورمُت اوس فَاُلْقِيَ السَّحَرَةُ سٰجِدِيْنَ یہ وُچھتہ پیئے جادوگر وَستھ سجدہ کس حالس اندر قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ دَپنہ لگِ اسہٕ کُر پژھ ربُّ العالمینس۔ فرعونن دوپک یہ چھو توہہِ میونوی وَنان تمو دوپُس رَبِّ مُوْسٰى وَهٰرُوْنَ حضرتِ موسیٰ تہٕ حضرتِ ہارونہ سندِ س پروردگارس قَالَ اٰمَنْتُمْ لَهٗ قَبْلَ اَنْ اٰذَنَ لَكُمْ اِنَّهٗ لَكَبِيْرُكُمُ الَّذِيْ عَلَّمَكُمُ السِّحْرَ فَلَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ فرعونن دوپُھ توہہِ چھوہ پژھ کُر مژ حضرتِ موسیٰ اَس میانہِ حکم دِنہ برونٹھی۔ پزٕ پاٹھ یہ چھو تُہند بوڑ ساحر۔ تمِ تُہہ تہٕ ہِچھہ ناومتِ چھوہ سحر۔ ووٚنِ سپدہ توہہِ معلوم توہہ کیاہ بنوہ لَاُقَطِّعَنَّ اَيْدِيَكُمْ وَاَرْجُلَكُمْ مِّنْ خِلَافٍ وَّلَاُوصَلِّبَنَّكُمْ اَجْمَعِيْنَ بوژٕ تُہند اتھہ تہٕ کھور پھِرِت یعنی دچھُن اتھہ تہٕ کھوفر کھور۔ ییہ دِ موہ وہ تُہہ ساری پھہہ قَالُوْا لَا ضَيْرَ تمو ساحرو دوپُس اَسہٕ چھُونہ تتھ اندر کانہہ نقصان تہٕ ضرر اِنَّآ اِلٰى رَبِّنَا مُنْقَلِبُوْنَ اَسہِ چھہ بیشک پنہ نس پروردگارس نشہِ واتہ ونِ اِنَّا نَطْمَعُ اَنْ يَّغْفِرَ لَنَا رَبُّنَا خَطٰيٰنَآ اَنْ كُنَّآ اَوَّلَ الْمُؤْمِنِيْنَ اَسہِ چھہ یقیناً امیدّ تھاوان کہ اسہٕ کرِہ مغفرت پروردگارسون، سانین سارنی گنہن۔ کیازِہ اَسہِ چھہِ گوڈنِکی پژھ کرہ ونِ تَس معبودِ برحقس۔ فرعونہ سندِہ جماعتہ منزہ وَاَوْحَيْنَآ اِلٰى مُوْسٰٓى اَنْ اَسْرِ بِعِبَادِيْٓ اِنَّكُمْ مُّتَّبَعُوْنَ تو پتہ سوزاسہِ حکم موسیٰ علیہ السلامس کہ نیر وراتِ گیت میانِ بندہ ہیتھ یعنی بنی اسرائیل۔ پزٕ پاٹھِ توہہِ ییہ پتہٕ دُورنہ فَاَرْسَلَ فِرْعَوْنُ فِي الْمَدَآئِنِ

فَأَرْسَلَ فِرْعَوْنُ فِي الْمَدَائِنِ حَاشِرِينَ ﴿۵۳﴾ إِنَّ هَٰؤُلَاءِ لَشِرْذِمَةٌ قَلِيلُونَ ﴿۵۴﴾ وَإِنَّهُمْ لَنَا لَغَائِظُونَ ﴿۵۵﴾ وَإِنَّا لَجَمِيعٌ حَاذِرُونَ ﴿۵۶﴾ فَأَخْرَجْنَاهُمْ مِنْ جَنَّاتٍ وَعُيُونٍ ﴿۵۷﴾ وَكُنُوزٍ وَمَقَامٍ كَرِيمٍ ﴿۵۸﴾ كَذَٰلِكَ وَأَوْرَثْنَاهَا بَنِي إِسْرَائِيلَ ﴿۵۹﴾ فَأَتْبَعُوهُمْ مُشْرِقِينَ ﴿۶۰﴾ فَلَمَّا تَرَاءَى الْجَمْعَانِ قَالَ أَصْحَابُ مُوسَىٰ إِنَّا لَمُدْرَكُونَ ﴿۶۱﴾ قَالَ كَلَّا ۖ إِنَّ مَعِيَ رَبِّي سَيَهْدِينِ ﴿۶۲﴾ فَأَوْحَيْنَا إِلَىٰ مُوسَىٰ أَنِ اضْرِبْ بِعَصَاكَ الْبَحْرَ ۖ

---

حَاشِرِينَ توپتہ سُوز فرعونَن شہرن تہ گامَن کَن اکھ جماعتھ لُوکھ سونبرنہ خیطرٕ تہٕ تمہِ فوجس منز بھرتی کرنہ خیطرٕ۔ دَپان اوسُکھ اِنَّ هٰٓؤُلَآءِ لَشِرْذِمَةٌ قَلِيلُونَ * وَاِنَّهُمْ لَنَا لَغَآئِظُونَ یہِ موسیٰ علیہ السلامہ سنز جماعت چھہ سانین لُوکن نسبت سیٹھاہ کم جماعتھ تہٕ چھہِ اسہِ تنگ کران ژکھ کھاران۔ وَاِنَّا لَجَمِيعٌ حٰذِرُونَ بیہ چھہِ اَسِ ساری سِلاح سامانہ پیرِت اکھ فوجاہ اللہ تعالیٰ فرماوان فَاَخْرَجْنٰهُمْ پس کَڈ اَسہِ تم یعنی فرعون تہ تہنزٕ لشکر مِّنْ جَنّٰتٍ وَّعُيُونٍ گموٗ گموٗ باغو تہ ناگہ رادو منزٕ وَّكُنُوزٍ وَّمَقَامٍ كَرِيمٍ بیہِ گموٗ گموٗ خزانو منزٕ بیہِ نفیس نفیس لریو جایو اندرٕ كَذٰلِكَ اکھ گویہِ وَاَوْرَثْنٰهَا بَنِيٓ اِسْرَآءِيلَ بیہ بناوٕ تمنِ لرین جاین تہ باغن ہندِ مالِک بنی اسرائیل فَاَتْبَعُوهُمْ مُّشْرِقِينَ چنانچہ فرعون تہ تمسنز جماعت تہ لشکر دورے پیہِ تمن پتہ توپتہ واتِ تمن نِشہِ آفتاب کھسنکہِ وقتہ فَلَمَّا تَرَآءَ الْجَمْعٰنِ توپتہ یلہِ دوشونِ جماژن اکھ اکِس پیٹھ نظر پیہِ قَالَ اَصْحٰبُ مُوسٰٓى اِنَّا لَمُدْرَكُونَ دَپنہِ لگ موسیٰ علیہ السلام سندِ لُوکھ اَسِ آی تہندِس اَتھس اندر روٗن کیاہ بنہِ قَالَ كَلَّا موسیٰ علیہ السلامَن دوپُکھ تہٕ بنہٕ نہ ہر گز کُنہِ صورتس اندر۔ اَسہِ ہیکن نہ تمِ ہر گز ژٹتھ اِنَّ مَعِيَ رَبِّي سَيَهْدِينِ پتزٕ پاٹھ مہ سیتِ چھو میون پروردگار سُو ہاوِ مہ امہِ دریاوہ اندرٕ نیرنچ وَتھ فَاَوْحَيْنَآ اِلٰى مُوسٰٓى اَنِ اضْرِبْ بِّعَصَاكَ الْبَحْرَ پس سوز اَسہِ حکم موسیٰ علیہ السلامَس کہِ تُہہ لایِوٕ لورِ سیتِ دریاوہ کس آبس ژنڈ۔ اَتی لایِ تموٗ ژنڈ دریاوَس فَانْفَلَقَ فَكَانَ كُلُّ فِرْقٍ كَالطَّوْدِ الْعَظِيمِ اَتی سپد دریاوَس باہ حِصہٕ۔ پریتھ حِصاہ اُوس بوٗڈ بوٗڈ کوہا ہیوٗ۔ وَاَزْلَفْنَا ثَمَّ

قَالَ مَا خَطْبُكُمَا ؕ قَالَتَا لَا نَسْقِیْ حَتّٰی یُصْدِرَ الرِّعَآءُ سکتہ وَ اَبُوْنَا شَیْخٌ كَبِیْرٌ ﴿۲۳﴾ فَسَقٰی لَهُمَا ثُمَّ تَوَلّٰۤی اِلَى الظِّلِّ فَقَالَ رَبِّ اِنِّیْ لِمَاۤ اَنْزَلْتَ اِلَیَّ مِنْ خَیْرٍ فَقِیْرٌ ﴿۲۴﴾ فَجَآءَتْهُ اِحْدٰىهُمَا تَمْشِیْ عَلَى اسْتِحْیَآءٍ٘ قَالَتْ اِنَّ اَبِیْ یَدْعُوْكَ لِیَجْزِیَكَ اَجْرَ مَا سَقَیْتَ لَنَا ؕ

---

رٹان قَالَ مَا خَطْبُكُمَا تمن پر ژھک تُہند مُطلب کیاہ چھُو تُہہ کیازِ چھِوہ نہ پنہ نین چارپاین ترلیش چاوان قَالَتَا لَا نَسْقِیْ حَتّٰی یُصْدِرَ الرِّعَآءُ تمو دوپُو زنانو وونکھُ اَسِ نہ حض چھِنہ ترلیش چاوان یُو تتان نہ تِم پہلِ واپس گژھان چھِ پتہٕ تیر ہیتھ۔ تو پتہ یُوسہ آبہ ہن بچے مژ آسان چھہ سُو چھِ اَسِ پنہ نین تیرن دِوان حیاء شرمہِ ہندہ وجہ بیہ یُتھنہ مَردَن سیت مزاحمت سپدہ۔ اَسِ حض یمہِ ہوی نہ مگر اَسہِ چھُونہ گرس منز مرداہ کانہہ تہِ۔ وَ اَبُوْنَا شَیْخٌ كَبِیْرٌ بابہ صیب سون چھُو بُڈہ واریاہ وانسہِ کنِ۔ گرس منز چھونہ کام کرہ وُن کانہہ تہِ۔ مجبور اُچھہِ اَسِ پانہ یِوان تیرن ترلیش چاوَنہِ۔ یہ بُوزت آو موسیٰ علیہ السلام سندِس دِلِ مُبارکس منز رحم۔ فَسَقٰی لَهُمَا اَتی لومُکھ ارہٹس۔ تو پتہ کھورُکھ امہِ کیرِہ منزہ آب۔ سُوی چاوِکھ تہندِ جانور تمن دُون زنانن پیونہ انتظارُک تکلیف تلُن ثُمَّ تَوَلّٰۤی اِلَى الظِّلِّ فَقَالَ رَبِّ اِنِّیْ لِمَاۤ اَنْزَلْتَ اِلَیَّ مِنْ خَیْرٍ فَقِیْرٌ تو پتہ گے موسیٰ علیہِ السلام اکہ کُلہِ کِس سایس تل تو پتہ کورُکھ دُعا۔ ای میانہِ پروردگارہ یُوسہ نعمتاہ ژہ مہ کُن سوزکھ کم یا زیادہ بُو چھُوس تتھ کُن سخت محتاج۔ کیازہ اتھ سفرس منز آسِ واریاہ دوہ گامِت۔ تمن اوس نہ کھینہ چینہ خیطرہ کینہہ تہ میسّر سپُدمُت۔ اللہ تعالیٰ ان کور تمیُک سامان مُہیاّ کہ تمہِ دو شوے زنانہ گئیہ گرہ پتُن۔ تمن پُرژھ بابہ صیبن ازکتھہ پاٹھِ آیوہ تُہہ دوہہ خوتہ سُلی پہَن۔ تمو کورہکھ سورُوی قِصہّ بیان فَجَآءَتْهُ اِحْدٰىهُمَا تَمْشِیْ عَلَى اسْتِحْیَآءٍ تمو سُوزاکھ کُور موسیٰ علیہ السلامَس نادَس۔ سُویلہِ تمن نشہِ مند چھہِ مند چھہِ شرم وحیاء سان آیہ، یہ شریف زادین ہُند عادت چھُو قَالَتْ اِنَّ اَبِیْ یَدْعُوْكَ لِیَجْزِیَكَ اَجْرَ مَا سَقَیْتَ لَنَا دُوپنکھ میُون والِد بزرگوار چھُو تُہہِ ناد دِوان تا اینکہ سُو دِیہِ تُہہِ امہِ احسانُک بدلہ یُس تُہہِ اَسہِ سیت کوروہ موسیٰ علیہ السلام گئے اُمسندہ وننہ

فَلَمَّا جَآءَهُ وَقَصَّ عَلَيْهِ الْقَصَصَ ۙ قَالَ لَا تَخَفْ ۫ نَجَوْتَ مِنَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ ﴿۲۵﴾ قَالَتْ اِحْدٰىهُمَا يٰۤاَبَتِ اسْتَاْجِرْهُ ۫ اِنَّ خَيْرَ مَنِ اسْتَاْجَرْتَ الْقَوِيُّ الْاَمِيْنُ ﴿۲۶﴾ قَالَ اِنِّيْۤ اُرِيْدُ اَنْ اُنْكِحَكَ اِحْدَى ابْنَتَيَّ هٰتَيْنِ عَلٰۤى اَنْ تَاْجُرَنِيْ ثَمٰنِيَ حِجَجٍ ۚ فَاِنْ اَتْمَمْتَ عَشْرًا فَمِنْ عِنْدِكَ ۚ وَمَاۤ اُرِيْدُ اَنْ اَشُقَّ عَلَيْكَ ؕ سَتَجِدُنِيْۤ اِنْ

---

مُوجُب اٰمِس سیتِ۔ وَتہِ پکان فرمووموُسیٰ علیہ السلامَن اٰمِس دید صابہِ ژہ پچھ مہ پتہ پتہ۔ یُوپکہ ژہ برونٹھ برونٹھ۔ یُوچھُوس پیغمبر زادہ۔ ابراہیم علیہ السلامہ سندیو اولادو اَندرہ۔ اَسِ چھِنہ ووپر زنانہِ گُن بِلا ضرورت قصداً نظر دِنِ پَسند کران۔ چنانچہ تِتھے پاٹھِ واتِ تمِ یہندِس بابہ صابس نِشہِ فَلَمَّا جَآءَهُ وَقَصَّ عَلَيْهِ الْقَصَصَ قَالَ لَا تَخَفْ نَجَوْتَ مِنَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ اَدہ یِلہِ موُسیٰ علیہ السلام آو تہندِس بابہ صیبَس، شُعیب علیہ السلاؔمس نِشہِ توپتہ کورُکھ تمِن نِشہِ پنُن سورُی قِصّہ بیان تمو دِتہک تسلّی۔ دُوپہک وَونِ مہ برِ وکانہہ غم۔ تُہہ لبِوٗ نجات ظالم لُوکن نِشہِ۔ یُوت ہیکن نہ تمِ واتتھ۔ کیازِہ یہِ شہر چھُنہ فرعونہ سنزِہ عملدارسی منز شامِل۔ قَالَتْ اِحْدٰىهُمَا يٰۤاَبَتِ اسْتَاْجِرْهُ تمو دویو زنانو اَندرہ ؤون اکہ زنانہ شعیب علیہ السلامس ای میانہِ بابہ صابہ توہہِ چھہ ملازم رٹہ نچِ ضرورت۔ اَسِ بڑے یہِ وَنِ سُون چار واین سیتِ ترٛیش چاوناونہ خیطرہ نیٛرن چھُونہ وَنَن مُناسِب۔ یہِ رٹن پزہ تُہہ مُلازِم اِنَّ خَيْرَ مَنِ اسْتَاْجَرْتَ الْقَوِيُّ الْاَمِيْنُ پزٛ پاٹھِ تمِ ژہ مُلازم رَٹہ ہیٚکھ تمو اندرہ چھُو بہتر یُس طاقتور تہ امانتدار آسہِ۔ تمِ دُوشوَے صِفت چھہِ تمن اندر موُجود قَالَ اِنِّيْۤ اُرِيْدُ اَنْ اُنْكِحَكَ اِحْدَى ابْنَتَيَّ هٰتَيْنِ عَلٰۤى اَنْ تَاْجُرَنِيْ ثَمٰنِيَ حِجَجٍ شُعیب علیہ السلامَن دُوپ حضرتِ موُسیٰ اَس یُوچھُوس یژھان بو کرہ توہہِ نکاح تمو پنہ نیو دویو صاجبزادیو اَندرہ اَکس صاجبزادِہ سیتِ یُوسہ تُہہ پَسند کریُون یتھ شرطس پیٹھ کہ آٹھن وَرِیَن روزِہ نِشہِ مُلازم فَاِنْ اَتْمَمْتَ عَشْرًا فَمِنْ عِنْدِكَ توپتہ ہرگا تُہہ پُورہ دہَن ورہَن رُوزِو سو چھہ تُہنز مہربانی۔ میانہِ طرفہ جبر تہ زور چھُونہ۔ وَمَاۤ اُرِيْدُ اَنْ اَشُقَّ عَلَيْكَ یُوچھُس نہ یژھان توہہِ پیٹھ

شَآءَ اللّٰهُ مِنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿٢٧﴾ قَالَ ذٰلِكَ بَيْنِيْ وَبَيْنَكَ ۭ اَيَّمَا الْاَجَلَيْنِ قَضَيْتُ فَلَا عُدْوَانَ عَلَيَّ ۭ وَاللّٰهُ عَلٰي مَا نَقُوْلُ وَكِيْلٌ ﴿٢٨﴾ ع

فَلَمَّا قَضٰى مُوْسَى الْاَجَلَ وَسَارَ بِاَهْلِهٖٓ اٰنَسَ مِنْ جَانِبِ الطُّوْرِ نَارًا ۚ قَالَ لِاَهْلِهِ امْكُثُوْٓا اِنِّىْٓ اٰنَسْتُ نَارًا لَّعَلِّيْٓ اٰتِيْكُمْ مِّنْهَا بِخَبَرٍ اَوْ جَذْوَةٍ مِّنَ النَّارِ لَعَلَّكُمْ تَصْطَلُوْنَ ﴿٢٩﴾ فَلَمَّآ اَتٰىهَا نُوْدِيَ مِنْ شَاطِیِٔ الْوَادِ الْاَيْمَنِ فِي الْبُقْعَةِ الْمُبٰرَكَةِ مِنَ الشَّجَرَةِ اَنْ يّٰمُوْسٰٓي اِنِّىْٓ اَنَا اللّٰهُ رَبُّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٣٠﴾ ٨

---

يتھ مُعاملَس اندر دشواری تہ مشقت تراوُن سَتَجِدُنِيْٓ اِنْ شَآءَ اللّٰهُ مِنَ الصّٰلِحِيْنَ تُہہ لبُومہِ انشاء اللہ رتیُو لُوکو منزہ، رُت مُعاملہ کرہ ونیوا ٔندرہ قَالَ ذٰلِكَ بَيْنِيْ وَبَيْنَكَ تموُ دوپچھ یہِ سپُد توہہِ تہ مہِ منز پختہ مُعاہدہ مگر اَيَّمَا الْاَجَلَيْنِ قَضَيْتُ فَلَا عُدْوَانَ عَلَيَّ مہِ چھُو اختیار تموُ دویَو مُدتو اَندرہ یُس مُدّت بو پُورہ کرہ۔ مہِ پیٹھ ییہِ نہ کرنہ کانہہ زیادتی تہ جبر وَاللّٰهُ عَلٰي مَا نَقُوْلُ وَكِيْلٌ اللہ تعالیٰ چھُو سانہ تمہِ مُعاہدکِ گواہ کافی فَلَمَّا قَضٰى مُوْسَى الْاَجَلَ وَسَارَ بِاَهْلِهٖٓ تمہِ پتہ یلہِ مُوسیٰ علیہا السلامَن مُلازمتُک مُدّت پُورہ کور دراواتہِ شعیب علیہ السلامَس اِجازت ہیتھ پنن عیال ہیتھ مصرس کُن یا شامَس کُن گرٛھنہ خیطرہ اٰنَسَ مِنْ جَانِبِ الطُّوْرِ نَارًا وَتہِ پکان لجھہِ اکھ تیر بیہِ آکھ نہ انہِ گٹہ ہندہ سببہ وَتھ اتھہِ۔ اَتی وچھُکھ کوہِ طورکہِ طرفہ ناراہ قَالَ لِاَهْلِهِ امْكُثُوْٓا اِنِّىْٓ اٰنَسْتُ نَارًا لَّعَلِّيْٓ اٰتِيْكُمْ مِّنْهَا بِخَبَرٍ اَوْ جَذْوَةٍ مِّنَ النَّارِ لَعَلَّكُمْ تَصْطَلُوْنَ باژن پنہ نین فرموٗکھ تُہہ ٹھہرِ ویتہ تھی۔ مہِ وُچھ ناراہ۔ بو گرٛھہ تتھ نارس نشہِ۔ دِیوہ بُو یموہ وَتہِ ہنز کانہہ خبراہ ہیتھ یا نارہ تیو نگلاہ ہیتھ یتھ تُہہ پان وشناوِو تمہِ نارہ سیت فَلَمَّآ اَتٰىهَا نُوْدِيَ مِنْ شَاطِیِٔ الْوَادِ الْاَيْمَنِ فِي الْبُقْعَةِ الْمُبٰرَكَةِ مِنَ الشَّجَرَةِ اَنْ يّٰمُوْسٰٓي اِنِّىْٓ اَنَا اللّٰهُ رَبُّ الْعٰلَمِيْنَ تو پتہ یلہِ مُوسیٰ علیہ السلام اتھ نارس نکھ تل واتِ امہِ میدانکہ دَچھنہِ طرفہ بابرکت جایہِ

وَاَنْ اَلْقِ عَصَاكَ ۚ فَلَمَّا رَاٰهَا تَهْتَزُّ كَاَنَّهَا جَآنٌّ وَّلّٰى مُدْبِرًا وَّلَمْ يُعَقِّبْ ۚ يٰمُوْسٰٓى اَقْبِلْ وَلَا تَخَفْ ۫ اِنَّكَ مِنَ الْاٰمِنِيْنَ ﴿۳۱﴾ اُسْلُكْ يَدَكَ فِيْ جَيْبِكَ تَخْرُجْ بَيْضَآءَ مِنْ غَيْرِ سُوْٓءٍ ۫ وَّاضْمُمْ اِلَيْكَ جَنَاحَكَ مِنَ الرَّهْبِ فَذٰنِكَ بُرْهَانٰنِ مِنْ رَّبِّكَ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ ۚ اِنَّهُمْ كَانُوْا قَوْمًا فٰسِقِيْنَ ﴿۳۲﴾ قَالَ رَبِّ اِنِّيْ قَتَلْتُ مِنْهُمْ نَفْسًا فَاَخَافُ اَنْ يَّقْتُلُوْنِ ﴿۳۳﴾

---

پيٺ اکہ ڪُلہِ منزہ گوکھ آلوزہ اي مُوسىٰ بيشڪ بُوي ڇهُوس معبُود برحق۔ عالمين ھُند رُبّ۔ وَاَنْ اَلْقِ عَصَاكَ بياکھ آلوگوکھ کہِ لورہِ ہَن پَنِ تراوِو پٿھر فَلَمَّا رَاٰهَا تَهْتَزُّ كَاَنَّهَا جَآنٌّ وَّلّٰى مُدْبِرًا وَّلَمْ يُعَقِّبْ لورِہ پٿھر تراوِ تھِ يلہِ وُڇھکھ سۆلُورزاوِلس سرفہ سندِ پاٹھ ژُر ژُر کران۔ تہِ وُڇھتِ تھارے تہ کھوژ۔ تھر پھِرتِ ہيوتکھ ژلُن۔ عيالس گُن ہيوتھ گژھُن۔ پُوت نظرتہِ دِژکھ نہ۔ اللّٰہ تعالیٰ اَن فرمووُس يٰمُوْسٰٓى اَقْبِلْ وَلَا تَخَفْ اِنَّكَ مِنَ الْاٰمِنِيْنَ اي مُوسىٰ برونٹھ يِکھ کھوژمہ بيشڪ تھہ ڇھوہ اَمنس منز روزہ وِنيو اَندرہ۔ تۄہہِ واتہِ نہ کانہہ تکليف۔ يہِ ڇھنہ کانہہ کھوژنچ کتھاہ۔ بلکہِ ڇھويہ تھند مُعجزہ۔ بياکھ مُعجزہ ڇھو تھندُ اُسْلُكْ يَدَكَ فِيْ جَيْبِكَ تَخْرُجْ بَيْضَآءَ مِنْ غَيْرِ سُوْٓءٍ تراوِو تھہ اَتھ پَنُن نالس پنہ نِس منز۔ تو پتہ کڈِو سو اَتھ نيرِہ سفيد نپہ نپہ کرہ وُن۔ گُنہِ بيماری ورائی۔ وَّاضْمُمْ اِلَيْكَ جَنَاحَكَ مِنَ الرَّهْبِ اگر تُھہ عصاءِس اژدہابنہ سيتِ خُوف پيدہ سپدِہ سو دُور کرنہ خيطرہ مِلناوِو بيہ پنُن اَتھ پنہ نِس گرژہ ھس سيت سُو سپدِہ بيہِ تتھوی يُتھ اُوس اصلی حالتس اندر تمہِ سيتِ ژلہِ تۄہہِ خُوف تہ کھوژن فَذٰنِكَ بُرْهَانٰنِ مِنْ رَّبِّكَ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ تيٚہِ زہ چيز لورتہ سفيد اَتھ يعنی يدِ بيضاءِ ڇھہ زہ بجہِ دليلہ تُھندِس پروردگارہ سندِہ طرفہ فرعونس تہ تھندين وزيرن تہ اميرن نِشہِ گژھنہ خيطرہ ییمیُک تۄہہِ حُکم کرنہ يوان ڇھو اِنَّهُمْ كَانُوْا قَوْمًا فٰسِقِيْنَ بيشڪ تم ڇھہِ جماعتاہ سخت نافرمان قَالَ رَبِّ اِنِّيْ قَتَلْتُ مِنْهُمْ نَفْسًا فَاَخَافُ اَنْ يَّقْتُلُوْنِ مُوسىٰ عليہ السلام من دُوپ، اي ميانہِ پروردگارہ بُو ڇھُوس گژھنہ

وَاَخِيْ هٰرُوْنُ هُوَ اَفْصَحُ مِنِّيْ لِسَانًا فَاَرْسِلْهُ مَعِيَ رِدْاً يُّصَدِّقُنِيْٓ اِنِّيْٓ اَخَافُ اَنْ يُّكَذِّبُوْنِ ﴿۳۴﴾ قَالَ سَنَشُدُّ عَضُدَكَ بِاَخِيْكَ وَنَجْعَلُ لَكُمَا سُلْطٰنًا فَلَا يَصِلُوْنَ اِلَيْكُمَا ۚ بِاٰيٰتِنَآ ۚ اَنْتُمَا وَمَنِ اتَّبَعَكُمَا الْغٰلِبُوْنَ ﴿۳۵﴾ فَلَمَّا جَآءَهُمْ مُّوْسٰى بِاٰيٰتِنَا بَيِّنٰتٍ قَالُوْا مَا هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ مُّفْتَرًى وَّمَا سَمِعْنَا بِهٰذَا فِيْٓ اٰبَآىِٕنَا الْاَوَّلِيْنَ ﴿۳۶﴾ وَقَالَ مُوْسٰى رَبِّيْٓ اَعْلَمُ بِمَنْ جَآءَ بِالْهُدٰى مِنْ عِنْدِهٖ وَمَنْ تَكُوْنُ

---

خيطره چانس حُڪمس تعميل ڪرڻ خيطره تيار. مگر ڙه ڇهي خبري ڪه مه ڇهو مور مُت تُهند اکه شخصاه لهذا ڇهو مه خطره گرڅهان ڪه تم ماماڙن تهنده بدل مه. تبليغ ڪرنگ ايه نه موقعَ وَاَخِيْ هٰرُوْنُ هُوَ اَفْصَحُ مِنِّيْ لِسَانًا فَاَرْسِلْهُ مَعِيَ رِدْاً يُّصَدِّقُنِيْٓ مه ڇهو گرڅهان ڦهير زيوه منز. ميون بُوي هارُون ڇهو ميانه خوته فصيح زيوه ڪن. سُوته سوزتن مه سيت مددگار. سُو ڪره ميانس تقريرس تائيد ته تصديق مُفصل پاٺ ونه هاسُو تمن ميانِ ڪته. اِنِّيْٓ اَخَافُ اَنْ يُّكَذِّبُوْنِ ڪيازه بُو ڇهوس کهوژان تم گرڇه نه مه اپزيُور زانن قَالَ سَنَشُدُّ عَضُدَكَ بِاَخِيْكَ وَنَجْعَلُ لَكُمَا سُلْطٰنًا فَلَا يَصِلُوْنَ اِلَيْكُمَا الله تعالیٰ ان فرمووُس ڪه واقعي ضرور ڪرواَس مضبوط تُهنز نر تُهندس باي سنده سيت بيه دِمووه توهه دُوشون اکه خاص شوڪتهاه ته هيبتهاه. بيه سُو طاقتهاه يمه سيت نه توهه تم ڪانهه تڪليف هيڪن واته ناوِت. بِاٰيٰتِنَآ اَنْتُمَا وَمَنِ اتَّبَعَكُمَا الْغٰلِبُوْنَ يس گرڅهو سانِ آيات ته مُعجزات هيته تُهه دُوشوے بيه تم تُهنز پيروي ڪرن. رُوزِو ضرور تمن پيٺه غالب. فَلَمَّا جَآءَهُمْ مُّوْسٰى بِاٰيٰتِنَا بَيِّنٰتٍ قَالُوْا مَا هٰذَآ اِلَّا سِحْرٌ مُّفْتَرًى وَّمَا سَمِعْنَا بِهٰذَا فِيْٓ اٰبَآىِٕنَا الْاَوَّلِيْنَ توپته يله آو تمن نشه مُوسیٰ عليه السلام سانِ واضح ته نن آيات هيته، تم لگِ وننه يه ڇهونه مِگر جوداه، خدايس پيٺه خوامخواه ٿهراونه آمُت. اَسه ڇهنه يمه ڪته بُو زه مرڅے پنه

لَهٗ عَاقِبَةُ الدَّارِ ؕ اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الظّٰلِمُوْنَ ﴿٣٧﴾ وَقَالَ فِرْعَوْنُ
يٰۤاَيُّهَا الْمَلَاُ مَا عَلِمْتُ لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرِىْ ۚ فَاَوْقِدْ لِىْ
يٰهَامٰنُ عَلَى الطِّيْنِ فَاجْعَلْ لِّىْ صَرْحًا لَّعَلِّىْۤ اَطَّلِعُ اِلٰۤى
اِلٰهِ مُوْسٰى ۙ وَاِنِّىْ لَاَظُنُّهٗ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ ﴿٣٨﴾ وَاسْتَكْبَرَ
هُوَ وَجُنُوْدُهٗ فِى الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ وَظَنُّوْۤا اَنَّهُمْ اِلَيْنَا
لَا يُرْجَعُوْنَ ﴿٣٩﴾ فَاَخَذْنٰهُ وَجُنُوْدَهٗ فَنَبَذْنٰهُمْ فِى الْيَمِّ ۚ

---

نین برو نتھین مالین بڈ بنن نشہِ **وَقَالَ مُوْسٰى رَبِّىْۤ اَعْلَمُ بِمَنْ جَآءَ بِالْهُدٰى مِنْ عِنْدِهٖ وَمَنْ تَكُوْنُ لَهٗ عَاقِبَةُ الدَّارِ ؕ اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الظّٰلِمُوْنَ** مُوسیٰ علیہ السلامَن فرموٗد کھ امیُک جواب۔ میانس پَروردگارس چھُ پُور معلوم کہ کُہہ آو تَس نشہِ بُوڈ ہدایت ہیتھ۔ بیہ چھہ اللہ تعالیٰ سِی پُور خبر کَس شخص سپدِ ہ انجام بخیر دُنیاءس اندر، بیشک ظالم، یمو نہ ہدایتس تہ صحیح دِینس پیٹھ آسَن تمِ سپدن نہ ہرگز کامیاب نہ دُنیاءس اندر، نہ آخرتس اندر۔ فرعونس سپُد اندیشہِ، تمِ بوزہ موسیٰ علیہ السلامہ سنزہ دلیلہ کہ خبر چھا میانِ لُوکھ ماسپدن مائل موسیٰ علیہ السلامَس کُن تمِ تہ کرناوِ دربارکِ لُوکھ جمع **وَقَالَ فِرْعَوْنُ يٰۤاَيُّهَا الْمَلَاُ مَا عَلِمْتُ لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرِىْ** تمن لُوکن ہیوتُن وَنن ای امیرَو تہ وزیرَو بوچھوس نہ زانان پانس ورای تُہندِ خیطرہ کانہہ معبود اہ **فَاَوْقِدْ لِىْ يٰهَامٰنُ عَلَى الطِّيْنِ فَاجْعَلْ لِّىْ صَرْحًا لَّعَلِّىْۤ اَطَّلِعُ اِلٰۤى اِلٰهِ مُوْسٰى** اَے ہامان ژہ دِہ نارسیرِہ کوندِہ توپتہ بناومیانہِ خیطرہ پُوختہ سیرین ہنز اکھ تھز عمارتھ اہ تمی پیٹھہ دِمہ بُو نظر حضرتِ موسیٰ سندِس خدایس کُن **وَاِنِّىْ لَاَظُنُّهٗ مِنَ الْكٰذِبِيْنَ** بُو چھُسن زانان سُو اپزونہ وِنیو اَندرہ **وَاسْتَكْبَرَ هُوَ وَجُنُوْدُهٗ فِى الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ وَظَنُّوْۤا اَنَّهُمْ اِلَيْنَا لَا يُرْجَعُوْنَ** تکبُرہ تہ غرُورہ کنِ آسِ فرعونَن تہ تہنزِہ لشکرِہ ناحق سربُلندی ہیُژ مژکرنِ۔ تمِ آسِ زانان کہ تمن چھُنہ دُنیاء منزہ نیرِت اَسہِ نشہِ واتُنوی۔ **فَاَخَذْنٰهُ وَجُنُوْدَهٗ فَنَبَذْنٰهُمْ فِى الْيَمِّ** اتھ تکبرس تہ غرُورس پیٹھ سزادنہِ خیطرہ رُوٹ اَسہِ فرعون بیہ تہنز لشکر۔ توپتہ دِت بَرِت دریاوَس منز توپتہ پھاٹُو سُو اَسہِ اتھ

فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٤٠﴾ وَجَعَلْنٰهُمْ اَئِمَّةً
يَّدْعُوْنَ اِلَى النَّارِ ۚ وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ لَا يُنْصَرُوْنَ ﴿٤١﴾
وَاَتْبَعْنٰهُمْ فِيْ هٰذِهِ الدُّنْيَا لَعْنَةً ۚ وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ هُمْ
مِّنَ الْمَقْبُوْحِيْنَ ﴿٤٢﴾ ع وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ
مِنْ بَعْدِ مَآ اَهْلَكْنَا الْقُرُوْنَ الْاُوْلٰى بَصَآئِرَ
لِلنَّاسِ وَهُدًى وَّرَحْمَةً لَّعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ ﴿٤٣﴾
وَمَا كُنْتَ بِجَانِبِ الْغَرْبِيِّ اِذْ قَضَيْنَآ اِلٰى مُوْسَى الْاَمْرَ وَمَا

---

منز۔ فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الظّٰلِمِيْنَ پس وِچھتو کیتھ یچھ انجام سپڈ تمن ظالمن ھُند وَجَعَلْنٰهُمْ اَئِمَّةً يَّدْعُوْنَ اِلَى النَّارِ تمِ آسِ اَسہِ بناوِمت رئیس تہ زِٹھ تمِ لوکن نادِوان آسِ نارس کُن وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ لَا يُنْصَرُوْنَ قیامتک دوہ آسَن تمِ بالکل بے بَس تہ بے گَس کانہہ تہِ کرِ نہ تمن کانہہ مدد داہ وَاَتْبَعْنٰهُمْ فِيْ هٰذِهِ الدُّنْيَا لَعْنَةً پتہ تھاو اَسہِ تمن لوکن یتھ دُنیاء س منز تہِ لعنتھی وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ هُمْ مِّنَ الْمَقْبُوْحِيْنَ قیامتک دوہ تہِ آسَن تمِ بدحال لوکو اندرہ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا مُوْسَى الْكِتٰبَ مِنْ بَعْدِ مَآ اَهْلَكْنَا الْقُرُوْنَ الْاُوْلٰى بَصَآئِرَ لِلنَّاسِ وَهُدًى وَّرَحْمَةً لَّعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ پتہ پاٹھِ اَسہِ کَر عطا موسیٰ علیہ السلامس کِتاب (یعنی تورات) برونٹھم نافرمان اقوام، قوم نُوح، قوم عاد، قوم ثمود، ہلاک کرنہ پتہ۔ یتھ کتابہ منز تمن لوکن ہندِ خیطرہ آسہ بجہ دلیلہ بیہِ بُوڈ ہدایت بیٔہ بڈ رحمت۔ یُتھ تمِ نصیحت حاصِل کرن وَمَا كُنْتَ بِجَانِبِ الْغَرْبِيِّ اِذْ قَضَيْنَآ اِلٰى مُوْسَى الْاَمْرَ وَمَا كُنْتَ مِنَ الشّٰهِدِيْنَ بیہِ آسِونہ تُہہ یا رسُول اللہ کوہِ طُورکہِ مغربہ کی طرفہ یتِنس اَسہِ موسیٰ علیہ السلامس احکام یعنی تورات عطا کَر۔ حُکم کورُس فرعونس نِشہِ پیغام واتہ ناونُک۔ بیہِ آسِونہ تُہہ تمہِ وقتہ کیو لوکو اندرہ کہ پانہ کیاہ آسہو حالاتن ہُند مشاہدہ کورمُت وَلٰكِنَّآ اَنْشَاْنَا قُرُوْنًا فَتَطَاوَلَ عَلَيْهِمُ الْعُمُرُ بلکہ کَرِ

كُنْتَ مِنَ الشّٰهِدِيْنَ ﴿٤٤﴾ وَلٰكِنَّآ اَنْشَاْنَا قُرُوْنًا فَتَطَاوَلَ عَلَيْهِمُ
الْعُمُرُ ۚ وَمَا كُنْتَ ثَاوِيًا فِيْٓ اَهْلِ مَدْيَنَ تَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا ۙ
وَلٰكِنَّا كُنَّا مُرْسِلِيْنَ ﴿٤٥﴾ وَمَا كُنْتَ بِجَانِبِ الطُّوْرِ اِذْ نَادَيْنَا
وَلٰكِنْ رَّحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّآ اَتٰىهُمْ مِّنْ نَّذِيْرٍ
مِّنْ قَبْلِكَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ ﴿٤٦﴾ وَلَوْلَآ اَنْ تُصِيْبَهُمْ
مُّصِيْبَةٌۢ بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْهِمْ فَيَقُوْلُوْا رَبَّنَا لَوْلَآ اَرْسَلْتَ
اِلَيْنَا رَسُوْلًا فَنَتَّبِعَ اٰيٰتِكَ وَنَكُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٤٧﴾ فَلَمَّا

---

پیدہ اَسہِ واریاہ قوم مُوسیٰ علیہ السلامَس پتہ۔ تھنزے عُمرہ سیزہ تمن پیٹھ زتچھہِ۔ وَمَا كُنْتَ ثَاوِيًا فِيْٓ اَهْلِ مَدْيَنَ بیہِ آسِوہ نہ توہہِ شہر مدینہ کین لُوکن منزبسہ وَنِ تَتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا وَلٰكِنَّا كُنَّا مُرْسِلِيْنَ تااینکہ پرہوتُہہ تِمن لُوکن پیٹھ سان آیات بلکہ آسِ اُسی توہہِ پیغمبر بناوت سوزہ وَنِ۔ اسیِ سُوزِ توہہِ کُن تمِ حالات ووقعات ادہ ہیکوہِ توہہِ تمِ حالات ووقعات بیان کرت۔ وَمَا كُنْتَ بِجَانِبِ الطُّوْرِ اِذْ نَادَيْنَا وَلٰكِنْ رَّحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّآ اَتٰىهُمْ مِّنْ نَّذِيْرٍ مِّنْ قَبْلِكَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ بیہِ آسِوہ نہ تُہہ کوہ طُورکہِ طرفہ موجودیلہِ اَسہِ آلودیُت (یاموسی انی انا اللہ رب العلمین) لیکن یہِ پچھہ تُہندِس پروردگارہ سنز تھُندہ حقہ بٹڈمہربانی کہِ تُہہ کُرِنوہ نبیِ آخرِ الزماں۔ بیہِ کرنوہ باخبر تمو واقعاتو سیتِ یُتھ تُہہ بیم کُرِو تمِن لُوکن تمن نِشہِ نہ توہہِ برونٹھ کانہہ بیم کرہ وُن پیغمر اہ آمُت چھُودیوہ تمِ نصیحت رٹن وَلَوْلَآ اَنْ تُصِيْبَهُمْ مُّصِيْبَةٌۢ بِمَا قَدَّمَتْ اَيْدِيْهِمْ فَيَقُوْلُوْا رَبَّنَا لَوْلَآ اَرْسَلْتَ اِلَيْنَا رَسُوْلًا فَنَتَّبِعَ اٰيٰتِكَ وَنَكُوْنَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ اَسِ سوزہوَنہ لُکن کُن پیغمبر۔ ہرگاہ نئے یہ تہ آسہاکہ یلہِ تِمن کانہہ مُصیبت تہ بلایاہ وَاتہِ ہاپنہ نین تِمن پچھ کامین ہندہ سببہ تمہِ تھندیو اَتھو برو نٹھ کُن سوز مژہ آسہن اتی دپہ ہن تمہِ سانہ خدایا ژہ کونہ سُوز تھن اَسہِ کُن کانہہ پیغمبر اہ پتھ آیات ہیتھ اَسِ کرہ ہو تمِن

جَآءَهُمُ الْحَقُّ مِنْ عِنْدِنَا قَالُوْا لَوْلَآ اُوْتِیَ مِثْلَ مَآ اُوْتِیَ مُوْسٰیؕ اَوَلَمْ یَكْفُرُوْا بِمَآ اُوْتِیَ مُوْسٰی مِنْ قَبْلُۚ قَالُوْا سِحْرٰنِ تَظٰهَرَا ۫ وَقَالُوْۤا اِنَّا بِكُلٍّ كٰفِرُوْنَ ﴿۴۸﴾ قُلْ فَاْتُوْا بِكِتٰبٍ مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ هُوَ اَهْدٰی مِنْهُمَآ اَتَّبِعْهُ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ ﴿۴۹﴾ فَاِنْ لَّمْ یَسْتَجِیْبُوْا لَكَ فَاعْلَمْ اَنَّمَا یَتَّبِعُوْنَ اَهْوَآءَهُمْؕ وَمَنْ اَضَلُّ مِمَّنِ اتَّبَعَ هَوٰىهُ بِغَیْرِ

---

چانين آيتن ھنن پيروي. بيہ آسھو اُنِ باايمانو اندره فَلَمَّا جَآءَهُمُ الْحَقُّ مِنْ عِنْدِنَا قَالُوْا لَوْلَآ اُوْتِیَ مِثْلَ مَآ اُوْتِیَ مُوْسٰی ووَنِ يلهِ تمن نشهِ سانه طرفه امرِ حق يعني رسُولِ برحق بيہ دين حق ڈوت ديپنهِ لگ تمِ امِس پيغمبرس كونه آيہ تڑهه كتاباه عطاكرنه اڑهه مُوسىٰ عليہ السلامَس عطاكرنه آيہ يعني اِكه وَٹه ساري كتاب اكي ساته اَوَلَمْ یَكْفُرُوْا بِمَآ اُوْتِیَ مُوْسٰی مِنْ قَبْلُ كياه تموكُورنا اِنكار تهه كتابهِ يُوسه عطاكرنه آمڑ آس برونٹھ مُوسىٰ عليہ السلامَس. سوي يكه وَٹه اكي ساته نازِل كرنه آمڑ آس. قَالُوْا سِحْرٰنِ تَظٰهَرَا تمِ كافِرآسِ ونان كهِ يمهِ دوشوے كِتابه (قرآن مجيد ته تورات) چهِ سحر ته جوداكه اكس مُوافقت كران. وَقَالُوْۤا اِنَّا بِكُلٍّ كٰفِرُوْنَ بيہ آسِ دپان اُسِ چهِ دوشونِ كتابن اِنكار كران قُلْ فَاْتُوْا بِكِتٰبٍ مِّنْ عِنْدِ اللّٰهِ هُوَ اَهْدٰی مِنْهُمَآ اَتَّبِعْهُ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ تُهه فرماويُوكه يارسُول الله، اي مُنكرِو تُهه كرِ توپيش خدايهِ سندِه طرفه كتاباه يوسه زياده وَتهاوه وَنِ آسهِ تمودِيو كتابو خوته بوتهِ كره تلهِ تمه چي پيروي چهوے تُهه يه گهه پزٕ وٹه وَنِ كهِ يمهِ زه كتابه چهه سحر ته جود فَاِنْ لَّمْ یَسْتَجِیْبُوْا لَكَ فَاعْلَمْ اَنَّمَا یَتَّبِعُوْنَ اَهْوَآءَهُمْ ہرگاه نه تمِ يہ كرِ تهه ہيكن پَس زانوِ كه تمِ چهنهِ كُنهِ پزٕچ پيروي كران بلكه چهِ تمِ پنه نين نفسه چين خواهشن ھنز پيروي كران وَمَنْ اَضَلُّ مِمَّنِ اتَّبَعَ هَوٰىهُ بِغَیْرِ هُدًی مِّنَ اللّٰهِ كُهه اكهاه چهُو گمراه تَس شخصه سندِه خوته يُس پنه نفسچه خواهشهِ ھنز پيروي كرِهِ خدايهِ سندِه طرفه كُنهِ ہدايه وَراي اِنَّ اللّٰهَ لَا یَهْدِی الْقَوْمَ الظّٰلِمِیْنَ پزٕ پاٹھِ الله تعالىٰ چهُونه

هُدًى مِّنَ اللّٰهِ ۭ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ ۝۵۰ ع

وَلَقَدْ وَصَّلْنَا لَهُمُ الْقَوْلَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ ۝۵۱ۭ اَلَّذِيْنَ

اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِهٖ هُمْ بِهٖ يُؤْمِنُوْنَ ۝۵۲ وَاِذَا يُتْلٰى عَلَيْهِمْ

قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِهٖٓ اِنَّهُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّنَآ اِنَّا كُنَّا مِنْ قَبْلِهٖ مُسْلِمِيْنَ ۝۵۳

اُولٰۗىِٕكَ يُؤْتَوْنَ اَجْرَهُمْ مَّرَّتَيْنِ بِمَا صَبَرُوْا وَيَدْرَءُوْنَ

بِالْحَسَنَةِ السَّيِّئَةَ وَمِمَّا رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ ۝۵۴ وَاِذَا سَمِعُوا

اللَّغْوَ اَعْرَضُوْا عَنْهُ وَقَالُوْا لَنَآ اَعْمَالُنَا وَلَكُمْ اَعْمَالُكُمْ ۡ

---

وَ تہ ہاوان ئتھین ظالم لوکن ـیم پوزو واضح تہ نون سپدِت گمراہی نشہِ بازین نہ وَلَقَدْ وَصَّلْنَا لَهُمُ الْقَوْلَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ بیشک اَسہِ واتنوو تِمن لوکن پُنٕن کلام یعنی قرآن مجید پوتُس پتھ یتھ تِم لوکھ بار بار تازہ بتازہ بوزنہ سیت نصیحت رٹن۔ یعنی اَسِ ہیکہ ہواکی ساتہ اِکہ وَٹہ سوزِت مگر اَسہِ سوز سوواروارہ تہندِی فائدہ خیطرہ اَلَّذِيْنَ اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ مِنْ قَبْلِهٖ هُمْ بِهٖ يُؤْمِنُوْنَ تِم لوکھ ـیمن اَسہِ ـیمہِ قرآن مجیدہ برونٹھ کتاب عطا کٔر تِمن اَندرہ ـیم حق شناس چھہ تِم چھہِ یتھ قرآن مجیدس پڑھ کران وَاِذَا يُتْلٰى عَلَيْهِمْ قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِهٖٓ اِنَّهُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّنَآ اِنَّا كُنَّا مِنْ قَبْلِهٖ مُسْلِمِيْنَ یلہِ تِمن پیٹھ یہِ قرآن مجید پھو پرنہ یوان، تِم چھہِ دپان اَسہِ کٔر پڑھ اتھ۔ بیشک چھُو یہ سانس پروردگارہ سندی طرفہ۔ اَسِ آسِ اَمکہ نازِل سپدنہ برونٹھی اَتھ تسلیم گرہ وَنِ اُولٰۗىِٕكَ يُؤْتَوْنَ اَجْرَهُمْ مَّرَّتَيْنِ بِمَا صَبَرُوْا وَيَدْرَءُوْنَ بِالْحَسَنَةِ السَّيِّئَةَ وَمِمَّا رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ امِی قسمہ کین لوکن کیا ایہِ دوگن مزورِ عطا کرنہ تہندِہ صبر کرنہ خیطرہ بیہِ چھہِ تِم لوکھ نیکی سیت بدی ہُند مقابلہ کران بیہِ چھہِ خرچ کران تَمی منزہ یُس اَسی تِمن عطا کور خدایہ سنزن وتن اندر وَاِذَا سَمِعُوا اللَّغْوَ اَعْرَضُوْا عَنْهُ بیہ یلہِ تِم بوزان چھہِ پانس نسبت کانہہ یچھ کتھاہ مُخالفن نشہِ بے توجہ چھہِ سپدان تمہ نشہِ زَن نہ بوزکھوی وَقَالُوْا لَنَآ اَعْمَالُنَا وَلَكُمْ اَعْمَالُكُمْ بیہِ

سَلٰمٌ عَلَیۡکُمۡ ۫ لَا نَبۡتَغِی الۡجٰہِلِیۡنَ ﴿۵۵﴾ اِنَّکَ لَا تَہۡدِیۡ مَنۡ اَحۡبَبۡتَ وَ لٰکِنَّ اللّٰہَ یَہۡدِیۡ مَنۡ یَّشَآءُ ۚ وَ ہُوَ اَعۡلَمُ بِالۡمُہۡتَدِیۡنَ ﴿۵۶﴾ وَ قَالُوۡۤا اِنۡ نَّتَّبِعِ الۡہُدٰی مَعَکَ نُتَخَطَّفۡ مِنۡ اَرۡضِنَا ؕ اَوَ لَمۡ نُمَکِّنۡ لَّہُمۡ حَرَمًا اٰمِنًا یُّجۡبٰۤی اِلَیۡہِ ثَمَرٰتُ کُلِّ شَیۡءٍ رِّزۡقًا مِّنۡ لَّدُنَّا وَ لٰکِنَّ اَکۡثَرَہُمۡ لَا یَعۡلَمُوۡنَ ﴿۵۷﴾ وَ کَمۡ اَہۡلَکۡنَا مِنۡ قَرۡیَۃٍۭ بَطِرَتۡ مَعِیۡشَتَہَا ۚ فَتِلۡکَ مَسٰکِنُہُمۡ

---

چھہِ دِپان تم اَسہِ والتہِ پنہ نین عملَن ہنز مُزورِ توہہِ تہِ چھوہ پنہ نین عملن ہنز مزُورِ۔ اَسہِ ییہِ برونٹھ تی ییہِ اَس کَرو۔ توہہِ ییہِ برونٹھ تی ییہِ تُہہ کَرِو سَلٰمٌ عَلَیۡکُمۡ میانہِ طرفہ چھوہ سلام۔ اَسِ کَرونہ توہہِ مُقابلہ تیچھ کتھو سیتِ لَا نَبۡتَغِی الۡجٰہِلِیۡنَ اَسِ چھنہ جاہلَن سیتِ کتھی کران اِنَّکَ لَا تَہۡدِیۡ مَنۡ اَحۡبَبۡتَ وَ لٰکِنَّ اللّٰہَ یَہۡدِیۡ مَنۡ یَّشَآءُ پیغمبر پاٹھِ تُہہ نہ حض ہیکیوٗن نہ وَتہِ پیٹھ اَنتھ سُوٗیس توہہِ خوش کرِہا۔ بلکہ اللہ تعالیٰ یَس یژھہِ تَسِ کرِہ ہدایت تَس اَنہِ راہِ راستس پیٹھ۔ ہدایت کرہنچ قدرت چھنہ کانسہ خدایس ورایِ۔ ہدایچ چھنہ کتھی ییہِ تہِ چھونہ کانسہِ معلوم کہ کس بنہِ ہدایت تہ کَس بنہِ نہ وَ ہُوَ اَعۡلَمُ بِالۡمُہۡتَدِیۡنَ بلکہِ چھو سُوٗی زیادہ زانہ وُن کہ ہدایت تہ وتھ لبہ وَنِ کم چھہِ وَ قَالُوۡۤا اِنۡ نَّتَّبِعِ الۡہُدٰی مَعَکَ نُتَخَطَّفۡ مِنۡ اَرۡضِنَا ییہِ چھہِ بعضی کافروتان ہرگاہ اَسِ تُہندِہ ہدایچ پیروی کَرو، دینِ اسلام قبول کَرو تیلہِ تِمو اَسِ پننہِ شہرہ منزہ چُوب دِت نیبر کڈنہ۔ یُتھ بے وطنی ہُند تکلیف تلوَ۔ ییہِ سپدِہ معاشچ تہِ پریشانی اَوَ لَمۡ نُمَکِّنۡ لَّہُمۡ حَرَمًا اٰمِنًا یُّجۡبٰۤی اِلَیۡہِ ثَمَرٰتُ کُلِّ شَیۡءٍ رِّزۡقًا مِّنۡ لَّدُنَّا وَ لٰکِنَّ اَکۡثَرَہُمۡ لَا یَعۡلَمُوۡنَ ییہِ وُنِ یُہنُد چھو محض لغو کیازِہ اَسہِ چھَنا جای دِژمژ یتھ حرمس منز یتھ منز اَمن وامانہ سان رُوزِت چھہِ۔ کیاہ ایمان اَنِت سپدیا تِمن پیٹھ بدامنی ہرگز نہ۔ یتھ حَرَمس کُن واتناونہ چھُو یوان پرِیتھ کُنہِ قسمُک میوہ۔ رِزق چھہِ عطا کران اَسِ تِمن پننہِ طرفہ کانسہِ ہندِہ مِنّتہ ورای۔ مگر تِموٗ اَندرہ چھہِ واریاہ لُوکھ یِم نہ تِمہِ کتھہ زانان چھہِ۔ تِمن ہُند چھنہِ خیال کران۔ بیاکھ سبب چھُو تہندِہ ایمان نہ انہ نُک کہ تِم چھہِ پننہ خوش عیشی پیٹھ ناز

لَمْ تُسْكَنْ مِّنْۢ بَعْدِهِمْ اِلَّا قَلِيْلًا ۭ وَكُنَّا نَحْنُ الْوٰرِثِيْنَ ۝۵۸ وَ
مَا كَانَ رَبُّكَ مُهْلِكَ الْقُرٰى حَتّٰى يَبْعَثَ فِيْٓ اُمِّهَا رَسُوْلًا يَّتْلُوْا
عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا ۚ وَمَا كُنَّا مُهْلِكِي الْقُرٰٓى اِلَّا وَاَهْلُهَا ظٰلِمُوْنَ ۝۵۹
وَمَآ اُوْتِيْتُمْ مِّنْ شَيْءٍ فَمَتَاعُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَزِيْنَتُهَا ۚ وَمَا

کران تہ تھکان۔ یہ تہ چھہِ تہنز حماقت کیازِ وَكَمْ اَهْلَكْنَا مِنْ قَرْيَةٍۭ بَطِرَتْ مَعِيْشَتَهَا ۚ فَتِلْكَ مَسٰكِنُهُمْ لَمْ تُسْكَنْ مِّنْۢ بَعْدِهِمْ اِلَّا قَلِيْلًا ۭ وَكُنَّا نَحْنُ الْوٰرِثِيْنَ اَسہِ گال واریاہن شہرن ہندِ لُوکھ یِم فخر تہ تکبُّر آسِ کران پنہٕ نِس سامانِ عیش و آرامس پیٹھ۔ یکیا چھہِ تہندِ گرہ ویران یِمَن تہنزِ اُچھن ڈیشمان۔ تِمَن پتہ آی نہ تِم گرہ آبادی کرنہ زانہہ مگر کمہ سی کالس۔ یتھ پاٹھِ کہ کانہہ مُسافر الگہِ اتفاقاً تُٹھن پتہ روزہ کم کینہہ کالاہ تھکھ کڈنہ خیطرہ یا تماشہِ ڈچھنہ خیطرہ ییہِ تہ گژھہ۔ یا شُبس کھنڈس روزہ تِمن جاین اَندر۔ آخرکار رُودِ اُسِی تہندہ ساری مال و دولتک مالک کیازِ اُسِ چھہِ فناء و زوالہ نِشہِ مُنزّہ تہ پاک۔ بیاکھ شُبہ چھُو تِمن گژھان کہ ہرگاہ تہنز ہلاکت چھہ سپز مڑ تہندہ کُفرہ سببہ تیلے تِمن موجودہ کافرن یہِ واریاہ کال گو کُفر چِہ کامہ کران تیلہ کونہ چھہِ تِم تہِ ہلاک گژھان۔ امی شُبہہ منوکھ چھنہ تِم ایمان انان۔ امہ شُبہُک جواب چھُوکھ وَمَا كَانَ رَبُّكَ مُهْلِكَ الْقُرٰى حَتّٰى يَبْعَثَ فِيْٓ اُمِّهَا رَسُوْلًا يَّتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا تُہند پروردگار چھُو نہٕ کُنہ شہرہ کین لُوکن تُوتان گالان یُوتان نہ تِمن کُن تہندِس کُنہ بڈِس شہرس منز چھُو سوزان کانسہ پیغمبرس یُس تِمن پیٹھ پران چھُو سان آیات وَمَا كُنَّا مُهْلِكِي الْقُرٰٓى اِلَّا وَاَهْلُهَا ظٰلِمُوْنَ تو پتہ چھِکھنہ اَسِ شہرن ہندِ لُوکھ گالان مگر تیلہ یلہِ تِم لُوک کانہہ ظُلم و سِتم یا شرارت کرِن ہین۔ اَتھ قانونس مُوافق آوٗ تِوہہِ سیت مُعاملہ کرنہ۔ نہ آوٗ تِوہہِ پیغمبرہ سندِ ینہ برونٹھ ہلاک کرنہ نہ پیغمبرہ سندِ پتہ۔ بلکہ ڈینکھ تان آوٗ نہ تِہہ ہلاک کینہہ کرنہ۔ مگر ووٚنی گژھن کینہہ دوٚہ، ہرگاہ تُہند یُوہے رَویہ رُود تیلہِ چھُو تِوہہِ ضرور سزا کھیون۔ چنانچہ جنگ بدرس وغیرہ منز سپُد تی۔ بیاکھ کتھاہ تہِ چھہ مانع ایمان انہ نِس سئوگیہ یہ کہ دُنیا چھُو نقد امہ مُوکھ چھُو مرغوب آخرت چھُو وعدہ تمی موکھ چھُو غیر مرغوب۔ لہٰذا چھُنہِ دُنیاء ک رغبت دِلو نِشہِ دُور سپدان تمیُک جواب چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان وَمَآ اُوْتِيْتُمْ مِّنْ شَيْءٍ

عِنْدَ اللّٰهِ خَيْرٌ وَّاَبْقٰى ۭ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿٦٠﴾ اَفَمَنْ وَّعَدْنٰهُ وَعْدًا
حَسَنًا فَهُوَ لَاقِيْهِ كَمَنْ مَّتَّعْنٰهُ مَتَاعَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ثُمَّ هُوَ
يَوْمَ الْقِيٰمَةِ مِنَ الْمُحْضَرِيْنَ ﴿٦١﴾ وَيَوْمَ يُنَادِيْهِمْ فَيَقُوْلُ اَيْنَ
شُرَكَاۗءِيَ الَّذِيْنَ كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ ﴿٦٢﴾ قَالَ الَّذِيْنَ حَقَّ عَلَيْهِمُ
الْقَوْلُ رَبَّنَا هٰٓؤُلَاۗءِ الَّذِيْنَ اَغْوَيْنَا ۚ اَغْوَيْنٰهُمْ كَمَا غَوَيْنَا ۚ تَبَرَّاْنَآ
اِلَيْكَ ۡ مَا كَانُوْٓا اِيَّانَا يَعْبُدُوْنَ ﴿٦٣﴾ وَقِيْلَ ادْعُوْا شُرَكَاۗءَكُمْ
فَدَعَوْهُمْ فَلَمْ يَسْتَجِيْبُوْا لَهُمْ وَرَاَوُا الْعَذَابَ ۚ لَوْ اَنَّهُمْ

---

فَمَتَاعُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَزِيْنَتُهَا بیہ یُس مال توہہِ دُنیاء س اندر عطا آو کرنہ سُو چھُو محض کنیژن دوہن ہندِ خیطرہ۔ دُنیاء چہِ کم زندگی ہُند متاعاہ تہ زینتھاہ عُمرِ ہندِ س وڈِ برنس سیتِ ڈوبرِ سُوتہِ وَمَا عِنْدَ اللّٰهِ خَيْرٌ وَّاَبْقٰى رژن کامین ہُند اجرتہ ثواب یُس اللہ تعالیٰ اَس نِشہِ نیکو کارن کیُت چھُو سُو چھُو سیٹھاہ بہتر تہ سیٹھاہ پُوشہِ ڈن تہ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ کیاہ توہہِ چھُوہ نا ایژہن تہ فکرِہ تران اَفَمَنْ وَّعَدْنٰهُ وَعْدًا حَسَنًا فَهُوَ لَاقِيْهِ کیاہ سُو شخص یُس سیت اَسہِ رُت وَعدہ کورمُت چھُو۔ یُس ضرور تتھ وعدس حاصِل کرہ ڈن چھُو كَمَنْ مَّتَّعْنٰهُ مَتَاعَ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا سُو چھا تَس شخصس ہیُو یُس اَسہِ تمتع تلہ نوو دُنیاچہ مُختصر زندگی منز اکہ ناپائیدار متاعہ سیتِ۔ ثُمَّ هُوَ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ مِنَ الْمُحْضَرِيْنَ تو پتہ بیہ سُو قیامتک دوہ گرفتار کرِ ت حاضرِ کرنہ وَيَوْمَ يُنَادِيْهِمْ فَيَقُوْلُ اَيْنَ شُرَكَاۗءِيَ الَّذِيْنَ كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ بیہ چھُو سُو دوہ قابلِ ذکرِ یمہِ دوہہ اللہ تعالیٰ تمن کافرن زجرو توبیخہ پاٹھِ آلو دِت پرژھہِ ارکتہِ چھُوہ تم یم تُہہ میانِ شریک زانان آسو کھ۔ شیطانن ہندِ ہ ڈالنہ سیتِ قَالَ الَّذِيْنَ حَقَّ عَلَيْهِمُ الْقَوْلُ دِپنہ لگن تم لُوکھ یمن پیٹھ عذابک حُکم محقق تہ ثابتِ سپدُمت آسہِ رَبَّنَا هٰٓؤُلَاۗءِ الَّذِيْنَ اَغْوَيْنَا ای سانہِ پروردگارہ یم لُوکھ چھہِ بیشک تِمے یمو اَسِ گُمراہ کَر اَغْوَيْنٰهُمْ كَمَا غَوَيْنَا اَسِ کَر تمو گُمراہ یتھ پاٹھِ اَسِ پانہ گُمراہ سپدمت آسِ

كَانُوا يَهْتَدُونَ ﴿٦٤﴾ وَيَوْمَ يُنَادِيهِمْ فَيَقُولُ مَاذَا أَجَبْتُمُ الْمُرْسَلِينَ ﴿٦٥﴾ فَعَمِيَتْ عَلَيْهِمُ الْأَنْبَاءُ يَوْمَئِذٍ فَهُمْ لَا يَتَسَاءَلُونَ ﴿٦٦﴾ فَأَمَّا مَنْ تَابَ وَآمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَعَسَىٰ أَنْ يَكُونَ مِنَ الْمُفْلِحِينَ ﴿٦٧﴾ وَرَبُّكَ يَخْلُقُ مَا يَشَاءُ وَيَخْتَارُ ۗ مَا كَانَ لَهُمُ الْخِيَرَةُ ۚ سُبْحَانَ اللَّهِ وَتَعَالَىٰ عَمَّا يُشْرِكُونَ ﴿٦٨﴾ وَرَبُّكَ يَعْلَمُ

---

تَبَرَّأْنَا إِلَيْكَ مَا كَانُوا إِيَّانَا يَعْبُدُونَ اَسِ چھِ ژہ برونٹھ کنہِ دَست برداری دِوان۔ تمِ آسِ نہ اَسہِ عبادت کران۔ تمن اُوس نہ اَسہِ سیتِ کانہہ تعلّق وَقِيلَ ادْعُوا شُرَكَاءَكُمْ فَدَعَوْهُمْ فَلَمْ يَسْتَجِيبُوا لَهُمْ وَرَأَوُا الْعَذَابَ لَوْ أَنَّهُمْ كَانُوا يَهْتَدُونَ تمہِ پتہ ییہِ تمن مُشرکن وننہ۔ دِیو آلو تمن باطِل معبوُدن تمِ شریک آسِوکھ ٹھہراوان معبود برحقس۔ تو پتہ دِنِکھ تمِ آلو۔ تمِ دِنکھ نہ تورہ کانہہ جواباہ۔ تو پتہ پیِکھ نظر عذابس پیٹھ۔ دِپنہِ لگن ای کاش کونہ آسِ اَسِ دُنیاءَس اَندر سیزہ وَتہِ پیٹھ۔ یتھ عذابس ماسپدہ ہوَ گرفتار۔ وَيَوْمَ يُنَادِيهِمْ فَيَقُولُ مَاذَا أَجَبْتُمُ الْمُرْسَلِينَ ییہِ تمہِ دوہہ تھدِہ آلو دِتھ پرژھیکھ اللہ تعالیٰ ای لُوکو توہہِ کیاہ جواب دژووہ دُنیاءَس اندر میانین پیغمبرن فَعَمِيَتْ عَلَيْهِمُ الْأَنْبَاءُ يَوْمَئِذٍ فَهُمْ لَا يَتَسَاءَلُونَ پس گژھن تِھنز وَذہنو نشہِ ساری مضمون منتشِر۔ نہ اپیکھ پنہ نین دماغن منز یاد کینہہ تمہِ دوہہ نہ پیکھ یادی پیغمبر کیاہ آس اَسہِ ونان نہ ہیکن اکھ اَکس پرژھِت کیازِہ ساری آسَن پریشان فَأَمَّا مَنْ تَابَ وَآمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا فَعَسَىٰ أَنْ يَكُونَ مِنَ الْمُفْلِحِينَ البتہ وِنِ تمِ اکھ تُوبہ کور دُنیاءَس اندر بیہِ اوُن ایمان بیہِ کرین رژہ عملہ تمِن لُوکن چھہ اُمید کہ تمِ آسَن آخرتس منز رستہ گارَوتہِ فوز و فلاح لبہ وینو اَندرہ وَرَبُّكَ يَخْلُقُ مَا يَشَاءُ وَيَخْتَارُ تُہند پروردگار چھُو کُنُوی کمالہ کیو صفتو سیتِ مُتّصِف۔ چنانچہ سُو یتھ چیزس پیدہ کرُن یژھان چھُو تتھ چھُو پیدہ کران۔ تکوینی اختیار چھُو تَسِ یُوت۔ یُس حُکم سُو یژھان چھُو تہ پسند چھُو کران سُوی چھُو انبیاءَن ہندِہ ذریعہ نازِل فرماوان۔ تشریعی اختیارتہِ چھُو تَسِ یُوت یعنی کینہہ چیز شریعت مُقرر کرُن مَا كَانَ لَهُمُ الْخِيَرَةُ تمِن لُوکن چھُو نہ

مَا تُكِنُّ صُدُوْرُهُمْ وَمَا يُعْلِنُوْنَ ﴿٦٩﴾ وَهُوَ اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ؕ لَهُ
الْحَمْدُ فِي الْاُوْلٰى وَالْاٰخِرَةِ ۫ وَلَهُ الْحُكْمُ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ﴿٧٠﴾
قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ جَعَلَ اللّٰهُ عَلَيْكُمُ الَّيْلَ سَرْمَدًا اِلٰى يَوْمِ
الْقِيٰمَةِ مَنْ اِلٰهٌ غَيْرُ اللّٰهِ يَاْتِيْكُمْ بِضِيَآءٍ ؕ اَفَلَا تَسْمَعُوْنَ ﴿٧١﴾
قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ جَعَلَ اللّٰهُ عَلَيْكُمُ النَّهَارَ سَرْمَدًا اِلٰى يَوْمِ
الْقِيٰمَةِ مَنْ اِلٰهٌ غَيْرُ اللّٰهِ يَاْتِيْكُمْ بِلَيْلٍ تَسْكُنُوْنَ فِيْهِ ؕ اَفَلَا

---

احکام تجويز کرڻ کا نہ حقاہ. پُس حُڪم سُو ئرِ ٿهِ سُوی کرہِ جاری. تمِ مُشرک ڇهِ پنہِ طرفہ شرک جائز کران مگر سُبْحٰنَ اللّٰهِ وَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُوْنَ سُو ڇهُو منزّہ تہ پاک بالا و برتر تمِن لُوکن ہند یو سارِوی شرگو نِشہِ وَرَبُّكَ يَعْلَمُ مَا تُكِنُّ صُدُوْرُهُمْ وَمَا يُعْلِنُوْنَ تُہند پروردگار ڇهُو تُيتھ کامِل علمہ ڈول کہ سُو ڇهُو زانان تہِ سورُوی یہِ تہندِ دِل پُوشیدہ تھاوِت ڇهِ بیہِ تہِ سورُوی یہ تمِ نبر اوان تہ ظاہر کران ڇهِ وَهُوَ اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ لَهُ الْحَمْدُ فِي الْاُوْلٰى وَالْاٰخِرَةِ وَلَهُ الْحُكْمُ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ بیہِ ڇهُو سُوی معبُودِ برحق یُس ورای نہ کانہہ معبُود اہ ڇهُو سُوی ڇهُو حمدس سزاوار دُنیاءَس منزتہِ آخرِ تَس منزتہِ کیازِہ تہندِ تُصرفات ڇهِ دُوشونِ عالمن اَندر تتھی یمِ دلالت ڇهِ کران تہندِس کمالس پیٹھ یتھ دار و مدار ڇهُو حمدس سزاوار آسُن بیہِ ڇهِ تہنزی حکومت دُنیاء و آخرِ تَس منز بیہِ ڇهُو قوّت تہ ؤسعت تہندِ ہ سلطنک تتھُوی کہِ تُہہ ساری ایو تَس کُن واتناونہ. تُہہ ہیکونہ تَس ورای بیہِ کانسہِ کُن گرِ ٿهت. یُوہے چیز ڇهُو سُو یمہِ سیتِ تُہنز الوہیّت ثابِت سپدان ڇهِ قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ جَعَلَ اللّٰهُ عَلَيْكُمُ الَّيْلَ سَرْمَدًا اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ مَنْ اِلٰهٌ غَيْرُ اللّٰهِ يَاْتِيْكُمْ بِضِيَآءٍ اَفَلَا تَسْمَعُوْنَ فرماوِیُو کھ تُہہ یارسُول اللہ ای لُوکو تلامہِ ونتو تُہہ ہرگاہ اللہ تعالیٰ تو ہہِ ہمیشہ خیطرہ تھاوِہ راتھے قیامتس تان معبُود برحقس ورای کُہہ معبُود ہیکہِ تو ہہِ نِش اَنِت دُہک گاش پَس ڇهُو سُوی قُدرتَس اندر تہ یکتا. پَس ڇهوہ نا تُہہ توحید ڇهِ یمہِ صاف دلیلہ بُوزان قُلْ اَرَءَيْتُمْ اِنْ جَعَلَ اللّٰهُ عَلَيْكُمُ النَّهَارَ سَرْمَدًا اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ مَنْ اِلٰهٌ غَيْرُ اللّٰهِ يَاْتِيْكُمْ بِلَيْلٍ تَسْكُنُوْنَ فِيْهِ اَفَلَا تُبْصِرُوْنَ

تُبۡصِرُوۡنَ ﴿۷۲﴾ وَمِنۡ رَّحۡمَتِهٖ جَعَلَ لَكُمُ الَّيۡلَ وَالنَّهَارَ لِتَسۡكُنُوۡا
فِيۡهِ وَلِتَبۡتَغُوۡا مِنۡ فَضۡلِهٖ وَلَعَلَّكُمۡ تَشۡكُرُوۡنَ ﴿۷۳﴾ وَيَوۡمَ
يُنَادِيۡهِمۡ فَيَقُوۡلُ اَيۡنَ شُرَكَآءِىَ الَّذِيۡنَ كُنۡتُمۡ تَزۡعُمُوۡنَ ﴿۷۴﴾
وَنَزَعۡنَا مِنۡ كُلِّ اُمَّةٍ شَهِيۡدًا فَقُلۡنَا هَاتُوۡا بُرۡهَانَكُمۡ
فَعَلِمُوۡۤا اَنَّ الۡحَقَّ لِلّٰهِ وَضَلَّ عَنۡهُمۡ مَّا كَانُوۡا يَفۡتَرُوۡنَ ﴿۷۵﴾ ع

امی اظہارِ قُدرتہ خیطرہ فرماویو کھ تُہہ امیُک برعکس کہِ تلامہِ ونتو ہرگاہ اللہ تعالیٰ توہہِ پیٹھ کرہِ سوٗروی وقت دُہی دوہ ہمیشہ خیطرہ قیامتس تانِ۔ معبوٗدِ برحقس ورای کُہہ معبوٗد ہیکہِ توہہِ نِشہِ رات اَنِتھ ییٚتھ منز تُہہ آرام و قرار ہیکو کٔرِت۔ کیاہ تُہہ چھِوہ ناخدایہِ سنزیہِ بڈٕ قُدرت وارہٕ وُچھان۔ تمسُند قُدرتس اندر کُنوی آسُن چھُو منگان الوہیتّس اندرتہِ کُنوی آسُن۔ وَمِنۡ رَّحۡمَتِهٖ جَعَلَ لَكُمُ الَّيۡلَ وَالنَّهَارَ لِتَسۡكُنُوۡا فِيۡهِ وَلِتَبۡتَغُوۡا مِنۡ فَضۡلِهٖ وَلَعَلَّكُمۡ تَشۡكُرُوۡنَ سُو مُنعم چھُو تِھُوی کہ یہِ چھہ تہنزی رحمت تہ مہربانی کہ تَمِ کٔرِ تُہندہِ خیطرہ رات تہ دُوہ پیدہ۔ ییٚتھ تُہہ راژ منز آرام کٔرِو بیہِ ییٚتھ دُوہس منز تُہند رزق ژھانڈِو۔ بیہِ ییٚتھ تُہہ تہنزن تِمن دُوشونِ نعمژن پیٹھ شُکر دِیِو۔ پَس اتھ اِنعامس اندر تمسُند کُنوی آسُن تہِ چھُو منگان تمسُند معبوٗد آسنس منز کُنوی آسُن۔ وَيَوۡمَ يُنَادِيۡهِمۡ فَيَقُوۡلُ اَيۡنَ شُرَكَآءِىَ الَّذِيۡنَ كُنۡتُمۡ تَزۡعُمُوۡنَ بیہِ یمہِ دوہہ اللہ تعالیٰ مُشرکن بڈٕہِ آلو دِت فرماوہ ییٚتھ بےٚ لوکھ تہِ تہنز رُسوائی بوزن۔ ای مُشرکو کوٗت گوہ تِم معبوٗدانِ باطِل یِمَ تُہہ میانِ شریک زانان آسِوکھ وَنَزَعۡنَا مِنۡ كُلِّ اُمَّةٍ شَهِيۡدًا بیہِ اَنون اَسِ برونٹھ کُن پرییتھ اُمتہ منزہ اکھ اکھ گواہ یعنے تمہِ اُمتُک پیغمبر یُس کُفر و نافرمانی ہُند سوٗروی حال بیان کرہِ فَقُلۡنَا هَاتُوۡا بُرۡهَانَكُمۡ تو پتہ ونوأسِ سارنی اُمتن ہندین مُشرکن کہ اے مُشرکو تلا شرکہِ جوازِچ کانہہ دلیلاہ کٔرِو پیش فَعَلِمُوۡۤا اَنَّ الۡحَقَّ لِلّٰهِ تمہِ ساتہ زانن تِم کہِ پوٗز اوٗس خدایہِ سُندوی فرماوُن یُس تِمِ پیغمبرن ہندہِ ذریعہ واتناویوٗو۔ یعنی توحیدُک پوٗز آسُن تہ شرکُک باطِل آسُن سپدِہ تِمن معلوٗم وَضَلَّ عَنۡهُمۡ مَّا كَانُوۡا يَفۡتَرُوۡنَ تمہِ سارے اَپزٕ گَتھہ گژھن نابوٗد تہ ضائع تِمن نِشہِ یِمَہ تِم دُنیاہس اندر

إِنَّ قَارُونَ كَانَ مِن قَوْمِ مُوسَىٰ فَبَغَىٰ عَلَيْهِمْ ۖ وَآتَيْنَاهُ مِنَ الْكُنُوزِ مَا إِنَّ مَفَاتِحَهُ لَتَنُوءُ بِالْعُصْبَةِ أُولِي الْقُوَّةِ إِذْ قَالَ لَهُ قَوْمُهُ لَا تَفْرَحْ ۖ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ الْفَرِحِينَ ﴿٧٦﴾ وَابْتَغِ فِيمَا آتَاكَ اللَّهُ الدَّارَ الْآخِرَةَ ۖ وَلَا تَنسَ نَصِيبَكَ مِنَ الدُّنْيَا ۖ وَأَحْسِن كَمَا أَحْسَنَ اللَّهُ إِلَيْكَ ۖ وَلَا تَبْغِ

ٺهراوان آسِ ڪه معبُودان باطِل ڪرن اَسهِ شفاعت إِنَّ قَارُونَ كَانَ مِن قَوْمِ مُوسَىٰ فَبَغَىٰ عَلَيْهِمْ قارونه سُند حال ڏِڇو ڪه تمُسِ ڪُس ڦهش آوَکُهر ه ته نافرماني سببه. تَس دُيت نه ڪانه نَفع ته فائده مال و متاعَن بلڪه سپُڊ تُهند مال و متاع تَس سيت تباهِ و بُر بادِ. تُهند مختصر قِصه ڇهُو يتهه پاٺهِ ڪهِ سُو اوس يقيناً حضرتِ مُوسىٰ سندِه قومه منزه يعني بني اسرائيلو منزه. بلڪه اُوس مُوسىٰ عليه السلامه سُند پترٛ بُوي سُوي لوگ مال و دولت زياده آسنه مُوکه پنه نِس قومَس پيٹھ ظُلم ڪرنهِ وَآتَيْنَاهُ مِنَ الْكُنُوزِ مَا إِنَّ مَفَاتِحَهُ لَتَنُوءُ بِالْعُصْبَةِ أُولِي الْقُوَّةِ ماچِ زيادتي آس تَس تيڑ ڪه اَسهِ آسِ تمس تيتِ خزانه مالڪ عطاڪرِ مت ڪه تمِن خزانن هنزه ڪُونزه آسه گو براوان ته ٿهڪراوان بڈس جماعتس، تمِ قوّته وال آسِ. تمن زور پيوان اُوس لاگُن تمه ڪونزه تُلنه خيطر ه. ووَن يلهِ ڪونزه ايڑه آسه. پانے گرٛشهِ زانُن تمِ خزانه ڪيتِ آسهَن. يه تڪبُر ته غرُور نزِ وو تمِ تمهِ ساتهِ إِذْ قَالَ لَهُ قَوْمُهُ لَا تَفْرَحْ ۖ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ الْفَرِحِينَ يلهِ تَس وون پننِ قومَن فهمائش ڪرنڪهِ طريقه. اي قارُون خوش مه گرٛشه ٿهڪان مه آس دُنيا ڪه مال و دولته سيتِ. پرٛ پاٺ الله تعالىٰ ڇهُونه پسند ڪران مال دُنياء سيت خوش گرٛشه و نين ته تهيڪه و نين وَابْتَغِ فِيمَا آتَاكَ اللَّهُ الدَّارَ الْآخِرَةَ بيهِ وونُس پنن قومَن يهِ زه الله تعالىٰ اَن مال و دولت عطا ڪورمُت ڇهُوي امهِ مال و دولته سيتِ ڪر زه حاصِل آخرِ تُک گره ته يه مال آس ڪران خرچ تهندِه رضا خيطر ه وَلَا تَنسَ نَصِيبَكَ مِنَ الدُّنْيَا بيهِ مه مُشر اوَزه دُنياء منزه پنُن سُو حِصّه يُس ڪهينه چينه ته لباسه خيطر ه ضرورت پيه وَأَحْسِن كَمَا أَحْسَنَ اللَّهُ إِلَيْكَ بيهِ ڪر زه تهِ احسان بيَن لُوڪن نسبت يتهه پاٺهِ اِحسان ڪور الله تعالىٰ اَن زه نسبت

الْفَسَادَ فِي الْأَرْضِ ۖ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ الْمُفْسِدِينَ ﴿٧٧﴾
قَالَ إِنَّمَا أُوتِيتُهُ عَلَىٰ عِلْمٍ عِندِي ۚ أَوَلَمْ يَعْلَمْ أَنَّ اللَّهَ قَدْ
أَهْلَكَ مِن قَبْلِهِ مِنَ الْقُرُونِ مَنْ هُوَ أَشَدُّ مِنْهُ قُوَّةً وَأَكْثَرُ
جَمْعًا ۚ وَلَا يُسْأَلُ عَن ذُنُوبِهِمُ الْمُجْرِمُونَ ﴿٧٨﴾ فَخَرَجَ عَلَىٰ قَوْمِهِ
فِي زِينَتِهِ ۖ قَالَ الَّذِينَ يُرِيدُونَ الْحَيَاةَ الدُّنْيَا يَا لَيْتَ لَنَا

---

وَلَا تَبْغِ الْفَسَادَ فِي الْأَرْضِ بیہِ مَہ ژھانڈ تباہی تہ بُربادی زمینس منز خدایہ سنز نافرمانی کرنہ سیت بیہِ تسندِس پیغمبرہ سنز مخالفت کرنہ سیتِ۔ بیہِ اَمہِ مالک واجبی حقوق ضائع کرنہ سیتِ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ الْمُفْسِدِينَ پزٕ پاٹھِ اللہ تعالیٰ چھُونہ پسند کران تباہی یژھن والین قَالَ إِنَّمَا أُوتِيتُهُ عَلَىٰ عِلْمٍ عِندِي یہِ بُوزِت لوگ وننہِ قارُون یہِ مال و دولت چھُومہِ حاصِل سپدمُت پننہِ تگنہ سیتِ تہ ذاتی ہُنر مندی سیتِ۔ یعنی مہِ چھہِ تمِ تدبیر تگان یمو سیتِ مال ودولت کماونہِ یوان چھُو۔ تمِ سیتِ چھُومہِ یہِ سورُوی جمع کورمُت۔ میون ٹھیکُن چھُو بجا۔ مہِ چھُونہ یتھ منز کانہہ غیبی احسانہ وو تمُت نہ چھُو کانسہِ ہُند اتھ اندر کانہہ حقّاہ یہِ چھُومہ پننہ نیو اتھو جو کھُمت زیو نمُت۔ أَوَلَمْ يَعْلَمْ أَنَّ اللَّهَ قَدْ أَهْلَكَ مِن قَبْلِهِ مِنَ الْقُرُونِ مَنْ هُوَ أَشَدُّ مِنْهُ قُوَّةً وَأَكْثَرُ جَمْعًا اتھ امسندِس وَننس چھُو اللہ تعالیٰ ردّ کران۔ فرماوان کہ کیاہ ام قارونن چھنہ بیشمار لُوکن ہندِ ذریعہ یہِ کتھ بوزمژ کہ پزٕ پاٹھِ اللہ تعالیٰ اَن چھہِ گالمتِ امِس برونٹھ تمِ تمِ قوم یم تمسندِ خوتہ زیادہ سخت آسِ قوتہ کن یعنی نوکر و چاکرو کن بیہِ آسِ زیادہ مال و دولتہ کن۔ تتوی یُوت سپُد نہ تہندِ حقّہ کہِ تمِ کیا آےٚ ہلاک کرنہ بلکہ تمن اِیہِ آخرِ تس اندرتہِ پرِ ژھنہ ورای عذاب کرنہ وَلَا يُسْأَلُ عَن ذُنُوبِهِمُ الْمُجْرِمُونَ تمن گُناہگارن نِش ییہ نہ سوال کرنہ نہ پرِ ژھنہ۔ تمن اِیہِ پرِ ژھنے سزادِنہ کیازِہ تمن آسہِ سزاءس مُستحق آسنک علامت لگِت۔ وونۍ تمن نشہِ گُنہِ وقتہ سوال کرنہ اِیہِ سُو آسہِ تہنز رُسوائی تہ خجالت نزراونہ خیطرہ فَخَرَجَ عَلَىٰ قَوْمِهِ فِي زِينَتِهِ اکہ دوہ سپُد اِتفاق کہ قارُون دراو پننہ نِس قومَس برونٹھ کن سخت آرائش تہ ٹیٹھ کٔرِت شیرت تہ پأرت اکہ شانہ قَالَ الَّذِينَ

مِثْلَ مَآ اُوْتِيَ قَارُوْنُ ۙ اِنَّهٗ لَذُوْ حَظٍّ عَظِيْمٍ ﴿٧٩﴾ وَقَالَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ وَيْلَكُمْ ثَوَابُ اللّٰهِ خَيْرٌ لِّمَنْ اٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا ۚ وَلَا يُلَقّٰىهَآ اِلَّا الصّٰبِرُوْنَ ﴿٨٠﴾ فَخَسَفْنَا بِهٖ وَبِدَارِهِ الْاَرْضَ ۣ فَمَا كَانَ لَهٗ مِنْ فِئَةٍ يَّنْصُرُوْنَهٗ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ ۤ وَمَا كَانَ مِنَ الْمُنْتَصِرِيْنَ ﴿٨١﴾ وَاَصْبَحَ الَّذِيْنَ تَمَنَّوْا مَكَانَهٗ بِالْاَمْسِ يَقُوْلُوْنَ وَيْكَاَنَّ اللّٰهَ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ وَيَقْدِرُ ۚ

---

يُرِيْدُوْنَ الْحَيٰوةَ الدُّنْيَا تمسندهِ برادري منزه بعضے لوکو تم باايمان آسته ته آسِ دُنياڙهانڊان۔ تمِ لگِ وننهِ يٰلَيْتَ لَنَا مِثْلَ مَآ اُوْتِيَ قَارُوْنُ اے کاش اسهِ تےِ آسها يته مال يُته قارونس عطا آوَ کرنه اِنَّهٗ لَذُوْ حَظٍّ عَظِيْمٍ بيشک سُو چهُو بُوڈ نصيبه ڈول يهِ وننه سيتِ سپده نه تهندِس ايمانس کانهه خلَل يته پاڅهِ ازتهِ کاتياه مُسلمان بين غير مُسلمِ قومن هنز ترقی ڈِچهِت تمناچههِ کران تمِن چهه لجی فکرِ آسان۔ وَقَالَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ وَيْلَكُمْ ثَوَابُ اللّٰهِ خَيْرٌ لِّمَنْ اٰمَنَ وَعَمِلَ صَالِحًا تمن لوکن خدايهِ سندهِ طرفه علم وفهج دُولت دِنه آس آمڙ تمو دُوپ تمن حريص ته طالع لوکن که افسوس تُهندهِ حقه خدايهِ سنْد ثواب چهُو بهتر ته رُت امهِ مالِ دُنياء خوته يُس عطا کرنه ييهِ تمِن لوکن يمو ايمان اُون بيهِ کريکهِ رڙه عمله وَلَا يُلَقّٰىهَآ اِلَّا الصّٰبِرُوْنَ يهِ ثواب چهُونه کامِل طُور عطا يوان کرنه مگر صبر کرهِ وُنين۔ تمِ مالِ دُنياء که حرِص وطمع نِشهِ صبر کرهِ وَنِ آسَن فَخَسَفْنَا بِهٖ وَبِدَارِهِ الْاَرْضَ پَس ڈول اسهِ سُو قارُون بيهِ تمسنزه کرهِ جايهِ زمينس تَل فَمَا كَانَ لَهٗ مِنْ فِئَةٍ يَّنْصُرُوْنَهٗ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَمَا كَانَ مِنَ الْمُنْتَصِرِيْنَ پَس آس نه تَس کانهه جماعتهاه يُوسه تَس مَدد کرِت هيکهِ هاخدايس وراي۔ نه هيوک تمِ پننِ پان بچاوِت کانسهِ هُند مَدد حاصِل کرِت حالانکهِ تمس سيتِ آس بڈ جماعت مگر کانهه تهِ پوکُس نه برونٹھ وَاَصْبَحَ الَّذِيْنَ تَمَنَّوْا مَكَانَهٗ بِالْاَمْسِ يَقُوْلُوْنَ پگاه صُبحُس تمسندهِ خسفک واقعه ڈِچهِت وون تمو لوکو تمِ امهِ برونٹھ پهَن تمنا آسِ کران قارونه سندِه مال ودولتک بيهِ تَس هيُوبَنه نُک وَيْكَاَنَّ اللّٰهَ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ وَيَقْدِرُ

لَوْلَآ اَنْ مَّنَّ اللّٰهُ عَلَيْنَا لَخَسَفَ بِنَا ؕ وَيْكَاَنَّهٗ لَا يُفْلِحُ
الْكٰفِرُوْنَ ﴿۸۲﴾ ع تِلْكَ الدَّارُ الْاٰخِرَةُ نَجْعَلُهَا لِلَّذِيْنَ لَا
يُرِيْدُوْنَ عُلُوًّا فِى الْاَرْضِ وَلَا فَسَادًا ؕ وَالْعَاقِبَةُ لِلْمُتَّقِيْنَ ﴿۸۳﴾
مَنْ جَآءَ بِالْحَسَنَةِ فَلَهٗ خَيْرٌ مِّنْهَا ۚ وَمَنْ جَآءَ بِالسَّيِّئَةِ فَلَا
يُجْزَى الَّذِيْنَ عَمِلُوا السَّيِّاٰتِ اِلَّا مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿۸۴﴾
اِنَّ الَّذِىْ فَرَضَ عَلَيْكَ الْقُرْاٰنَ لَرَآدُّكَ اِلٰى مَعَادٍ ؕ

---

تعجب چھُو کہ اللہ تعالیٰ چھُو رزقس اندر وُسعت کران پننہ نیو بندو اندرہ تمن یمن یژھان چھُو بیہ چھُو سُوی تنگی کران رِزقس اندر تمن یمن یژھان چھُو۔ لَوْلَآ اَنْ مَّنَّ اللّٰهُ عَلَيْنَا لَخَسَفَ بِنَا وَيْكَاَنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الْكٰفِرُوْنَ ہرگاہ نے اللہ تعالیٰ اَسہِ پیٹھ مِنّت تھاوِہاہ اَسہِ تہ نیہ ہاز مینس تَل والتِ مالِ دُنیاء کہِ حرِص وطَمعہ مُوکھہ۔ تعجُب چھُوکہِ کافِر زانہہ کامیاب سپدَن نہ۔ ہرگاہ کینہہ کالاہ دُنیاءس منز عیش تہ گرَن مگر پتولا کہ چھُو تمِن تاوانس تہ خُسرانس گرفتار سپدُن۔ فلاح وکامیابی چھہ مخصُوص بالیمانَن ہندِہ خیطرہ تِلْكَ الدَّارُ الْاٰخِرَةُ نَجْعَلُهَا لِلَّذِيْنَ لَا يُرِيْدُوْنَ عُلُوًّا فِى الْاَرْضِ وَلَا فَسَادًا یہِ عالمِ آخرِت یمکہِ ثوابُک مقصُود آسُن بیان آوُ کرنہ۔ ثواب اللہ خَیر وننہ سیتِ سُو چھُو اَسہِ خاص مقُرر کورمُت تمن لُوکن ہندِہ خیطرہ یمنہ دُنیاءس اندر مالی اعتبارہ بُوڈ بنُن یژھان چھہِ نہ۔ بیہ چھِنہ فساد تباہی تہ بُربادی یژھان وَالْعَاقِبَةُ لِلْمُتَّقِيْنَ رُت انجام تہ رُت نتیجہ چھُو خدایس کھوژہ وِنین ہندِہ خیطرہ یمِ ترکِ نواہِیَن سیتِ امتثالِ اوامِرتہِ آسَن کران مَنْ جَآءَ بِالْحَسَنَةِ فَلَهٗ خَيْرٌ مِّنْهَا قیامتُک دوہ یُس اکھاہ خدایس نِشہِ نیکی ہیتھ ییہِ تسندِہ خیطرہ چھہ سُوی مزُورِیؤسہ تمہِ خوتہ رژ آسہِ استحقاقہ خوتہ زیادہ آسہِ وَمَنْ جَآءَ بِالسَّيِّئَةِ فَلَا يُجْزَى الَّذِيْنَ عَمِلُوا السَّيِّاٰتِ اِلَّا مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ یُس اکھاہ تَس نِشہِ تمہِ دوہہ بدُی ہیتھ ییہِ پَس ییہِ نہ تیِچھ کاماہ کرہ وِنین کانہہ مُزورِتہ سزادِنہ مگر تمِنی کامین ہنز یمِ تمِ گرہ وِنِ آسَن زیادتی وَرای اِنَّ الَّذِىْ فَرَضَ عَلَيْكَ الْقُرْاٰنَ لَرَآدُّكَ اِلٰى مَعَادٍ تُہہ کُرِ وہ دُشمنو تکلیفات واتناونہ سیتِ

قُلْ رَّبِّيْٓ اَعْلَمُ مَنْ جَآءَ بِالْهُدٰى وَمَنْ هُوَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿٨٥﴾ وَمَا كُنْتَ تَرْجُوْٓا اَنْ يُّلْقٰٓى اِلَيْكَ الْكِتٰبُ اِلَّا رَحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ فَلَا تَكُوْنَنَّ ظَهِيْرًا لِّلْكٰفِرِيْنَ ﴿٨٦﴾ وَلَا يَصُدُّنَّكَ عَنْ اٰيٰتِ اللّٰهِ بَعْدَ اِذْ اُنْزِلَتْ اِلَيْكَ وَادْعُ اِلٰى رَبِّكَ وَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿٨٧﴾

---

سخت پريشان. جنهن اندر توهان پيوه مجبور سپرت ترڪِ وطن ڪرڻ. تنهن مفارقت وجدائي هُند توهه سخت صدمه ڇهُو. توهان سپرن تسلي تنهن ڪٿه سيت ڪه بيشڪ تم پروردگارن توهه پيٺه يارسول الله قرآني احڪامن هُند تعميل ته تبليغ ڪرڻ فرض ڪور سُو واتناوه توهه ضرور پنه نس وطنِ اصليس يعني مڪّه شريفس منز. تمهِ ساته آسو تُهه آزاد ته غالب. بيه آسو تُهه صاحب سلطنت قُلْ رَّبِّيْٓ اَعْلَمُ مَنْ جَآءَ بِالْهُدٰى وَمَنْ هُوَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ تم لُوکه توهه زانان ڇهِ غلطي پيٺه ته پانس ڇهِ زانان پزرس پيٺه تمن فرماوِو تُهه يارسول الله ڪه ميُون پروردگار ڇهُو پُوره زانه ڊن ڪه ڪُهه آو تهندِه طرفه پُوزدين ته بُوڊ هدايت هيتھ. بيه ڇهُو سُوي زانان ڪه ڪُهه ڇهُو مُبتلانه گُمراهي اَندر. تُهنز دولتِ نبوّت ڇهه محض خدايه سنزِي مهرباني وَمَا كُنْتَ تَرْجُوْٓا اَنْ يُّلْقٰٓى اِلَيْكَ الْكِتٰبُ اِلَّا رَحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ فَلَا تَكُوْنَنَّ ظَهِيْرًا لِّلْكٰفِرِيْنَ توهه آسه نه پننه حقه پيغمبر بنه برونٺه ڪانهه اُميدّ ڪه توهه گُن ڪيا اِيه نازِل ڪرنه يِه عظيم الشان ڪتاب يعني قرآن مجيد. مگر سپز يه ڪتاب نازِل توهه پيٺه محض خدايه سنزه مهرباني سيت. پَس مه آسو تُهه مددگار بنان ڪافرن هندِه خيطره تهنزن ڪٿهن تائيد ڪرنه سيت. يتھ پاٺِ ازتان تُهه تمن نشه الگ رُودوه يتهےپاٺِ گڙهه آينده ته الگ روزُن. وَلَا يَصُدُّنَّكَ عَنْ اٰيٰتِ اللّٰهِ بَعْدَ اِذْ اُنْزِلَتْ اِلَيْكَ بيه يله خدايه سندِ احڪام توهه پيٺه نازل سپد. وُنِ مه اِين لبنه ترڇه ڪٿه ڪه تم لُوڪ ڪيارٽن توهه پتھ تمو احڪامو نشه وَادْعُ اِلٰى رَبِّكَ وَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ تُهه رُوزِو بدستور لُوڪن پنه نس پروردگاره سندِس ديِنس گُن نادِ دوان. بيه يتھ پاٺِ ازتام توهه مُشرڪن سيت ڪانهه تعلق ٿووِوه نه يتهے پاٺ مه ٿاوِو ڪانهه تعلق تمن

وَلَا تَدْعُ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ ۘ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۟ كُلُّ شَیْءٍ هَالِكٌ اِلَّا وَجْهَهٗ ؕ لَهُ الْحُكْمُ وَاِلَیْهِ تُرْجَعُوْنَ ﴿۸۸﴾

سیتِ آیندہ تہِ۔ بیہِ مہ سپد وِ شامِل تُہہ مُشر گن سیتِ۔ بلکہ یتھہ پاٹ اَز تام تُہہ شِرکہ نِشہِ معصُوم تہ پاک رُودِوہ تتھے پاٹِ رُوزِو ہمیشہ پاک تہ معصُوم وَلَا تَدْعُ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا اٰخَرَ بیہِ مہ دِوُتہہ نادخدایس سیتِ بیہِ کانسہِ معبُودس لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ کیازہ کانہہ معبُوداہ چھُونہ تَس وَرای كُلُّ شَیْءٍ هَالِكٌ اِلَّا وَجْهَهٗ پریتھ چیزاہ چھُو ہلاک گژھہ وُن تسندِ ہ ذاتِ پاکہ ورای۔ معدُوم تہ نابُود سپدُن چھُو دلیل یمہِ کتھِہ ہنز کہ سُو چھُونہ قدیم اوسمُت یہے چھہ دلیل واجبُ الوجود نہ آسنِچ۔ مُستحق عبادت آسنگ شرط چھُو واجبُ الوجود آسُن یلہِ نہ سُو واجبُ الوجود چھُو لہذا ایکہِ نہ سُو ہرگز مُستحق عبادت آسِتھ تمِ چھُو مضمون لااِلٰہ ثابت لَهُ الْحُكْمُ وَاِلَیْهِ تُرْجَعُوْنَ حکومَت چھہ تہنز۔ یمیُک کامِل ظہور سپدِ ہ قیامتُک دوہ۔ تَتِس گُن اِیو تُہہ ساری واپس واتناونہ۔ سارنی بیہِ پنہ کرِ متیُک سزادِنہ۔ یمو آیاتو سیتِ چھُو مطلب کافرِ تہ مُشرِک نااُمید کرنِ تمہِ درخواستہ نِشہِ یُس تمِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سندس خدمتَس منز پیش کران آسِ کہ تُہہ پھیر تو سانہِ سی دِینس کُن۔ اصل چھُو روِیِ سُخن یمن آیاتِ کریمن منز تمنی مُشر کن کُن کہ ای مُشرکو تُہہ چھِوہ حضور صلی اللہ علیہِ وسلمن درخواست کران پنہ نِس دِینس سیت مُوافقت کرہ نُک۔ اَتھ منز سپدِونہ تُہہ ہرگز کامیاب۔ مگر عادت چھُو یلہِ کانسہِ پیٹھ ژکھ، بیزاری تہ غُصہّ چھُو آسان تمہ ساتہ چھُونہ یِوان تَس کُن روِیِ سُخن کرنہ۔ بلکہِ چھہ کتھ یِوان تَس واتناونہ بیس کُن لاگِت۔ یتنس چھُو تمی طریقہ اَمُت کرنہ۔ پنہ نِس محبُوبِ خاصَس کُن وَنتھ چھُو مُراد تمِن دُشمن کتھ واتناونِ تیم یِہ درخواست کران آسِ۔ کیازِہ تمِ یلہِ اللہ تعالیٰ اَن سُوزِ بیَن لُوکن پرِزِس دینس کُن نادِ دنہ خیطرہ یِہ کتھہ پاٹھ چھُو ممکن کہ تمِ کیاسپدَن نعُوذ باللہ پانہ کُفر و شِرکس کُن مائیل۔

# سُورَةُ العَنكَبُوتِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

الٓمّٓ ۚ ﴿١﴾ اَحَسِبَ النَّاسُ اَنْ يُّتْرَكُوْٓا اَنْ يَّقُوْلُوْٓا اٰمَنَّا وَهُمْ لَا يُفْتَنُوْنَ ﴿٢﴾ وَلَقَدْ فَتَنَّا الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَلَيَعْلَمَنَّ اللّٰهُ الَّذِيْنَ صَدَقُوْا وَلَيَعْلَمَنَّ الْكٰذِبِيْنَ ﴿٣﴾ اَمْ حَسِبَ الَّذِيْنَ يَعْمَلُوْنَ السَّيِّاٰتِ اَنْ يَّسْبِقُوْنَا ؕ سَآءَ مَا يَحْكُمُوْنَ ﴿٤﴾ مَنْ كَانَ يَرْجُوْا لِقَآءَ اللّٰهِ فَاِنَّ اَجَلَ اللّٰهِ لَاٰتٍ ؕ وَهُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ﴿٥﴾

---

الٓمّٓ تِم چھہِ حُروف مُقطعات یمن ہُند معنیٰ زانہ پانہ خدا اَحَسِبَ النَّاسُ اَنْ يُّتْرَكُوْٓا اَنْ يَّقُوْلُوْٓا اٰمَنَّا وَهُمْ لَا يُفْتَنُوْنَ بعضے مُسلمان چھہِ کافرن ہندیو تکلیفو سیت گابران تہ بانبران۔ کیا تمن لُوکن چھا گُمانہ کہِ تِم کیا اِین زیوہِ سیتِ آمنّاوِنت آزمائشہ ورأیِ تراونہ۔ یعنی تہِ بنِہ نہ۔ بلکہِ امہِ قسمکِ امتحانات تہ آزمائشہ یِن ضُرور تِمن پیش وَلَقَدْ فَتَنَّا الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَلَيَعْلَمَنَّ اللّٰهُ الَّذِيْنَ صَدَقُوْا وَلَيَعْلَمَنَّ الْكٰذِبِيْنَ پتہٕ پاٹھِ اَسہِ چھہِ یتھوے واقعاتو سیتِ آزمائش کٔر مژ تِمن لُوکن تہِ یِم یمن برونٹھ چھہِ گُذریمتِ مُسلمان برونٹھمین اُمّتن اندر۔ یُتھ اللہ تعالیٰ نٔر اوِہ تِمن لُوکن ہُند ایمان یِم پٔز زیرِ چھہِ ایمان انہ نٔس اندر بیہ نٔر اوِہ سُو تِمن لُوکن ہُند ایمان یِم ایمان انہ کِس دعوٰے اَس منز اپز زیرِ چھہِ۔ چنانچہ یِم لُوکھ وژھہِ وانجہِ ایمان انان چھہِ تِم چھہِ امتحانن اندر ثابت روزان بلکہ چھُو تِہند ایمان پُختہ سپدان۔ وَنہ یِم لُوک ڈُٹھہ گلے چھہِ پران تِم چھہِ امتحانکہِ وقتہ اسلام تراوان بیہ کُفرس کُن پھیران۔ اَمْ حَسِبَ الَّذِيْنَ يَعْمَلُوْنَ السَّيِّاٰتِ اَنْ يَّسْبِقُوْنَا کِنہ گُمان چھہِ کران تِم لوک یِم بِچھ کامہِ چھہِ کران (شرک تہ نافرمانی، مُسلمانن تکلیف رسانی) تِم کیاہ ہیکن ژلت اَسہِ نِشہِ سَآءَ مَا يَحْكُمُوْنَ یہ خیال کرُن تِہند چھُو سیٹھاہ بے ہُودہ تہ بِچھ۔ تِمن کافرن بیہِ ضُرور امیگ بدلہ ہینہ۔ مَنْ كَانَ يَرْجُوْا لِقَآءَ اللّٰهِ فَاِنَّ اَجَلَ اللّٰهِ لَاٰتٍ

وَمَنْ جَاهَدَ فَإِنَّمَا يُجَاهِدُ لِنَفْسِهِ ۚ إِنَّ اللَّهَ لَغَنِيٌّ عَنِ الْعَالَمِينَ ﴿٦﴾ وَالَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ لَنُكَفِّرَنَّ عَنْهُمْ سَيِّئَاتِهِمْ وَلَنَجْزِيَنَّهُمْ أَحْسَنَ الَّذِي كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿٧﴾ وَوَصَّيْنَا الْإِنْسَانَ بِوَالِدَيْهِ حُسْنًا ۖ وَإِنْ جَاهَدَاكَ لِتُشْرِكَ بِي مَا لَيْسَ لَكَ بِهِ عِلْمٌ فَلَا تُطِعْهُمَا ۚ إِلَيَّ

---

وَهُوَ السَّمِيعُ الْعَلِيمُ یُس شخصس پُور امید آسہِ آخر تَس منز خدایَس سیت ملاقات کرنچ تمسُند گژھہ نہ یتھیو حادثاتو سیت پریشان سپُدن بلکہ گژھہ تمسنز تِچ تیاری کرن۔ خدایَس سیتِ مُلاقات کرنُک وقت چھُو مُقرر کرنہ آمُت۔ سُو وقت چھُو ضرور ینہ۔ تَس مُوقس پیٹھ ینہ ڈول تمہِ سیتِ سارِی غم دُور سپدن۔ سُو چھُو سورُوی بوزہ وُن سورُوی زانہ وُن۔ تَس نِشہ چھُونہ کانہہ چیز پُوشیدہ۔ نہ کانہہ کتھ، نہ کانہہ کوم۔

پَس دِیہِ سُو توہہِ پریتھ رژہِ کتھہ تہ پریتھ رژہِ کامہِ ہُند عوض تہ بدلہ۔ تمہِ سیتِ ساری غم تہ غصّہ دُور سپدنَ وَمَنْ جَاهَدَ فَإِنَّمَا يُجَاهِدُ لِنَفْسِهِ إِنَّ اللَّهَ لَغَنِيٌّ عَنِ الْعَالَمِينَ یہِ گژھِہ تھاوُن یاد کہِ اَسِ یُس توہہِ محنتن تہ مشقتن برداشت کرنُک ترغیب دِوان چھِ اتھ اندر چھُونہ اَسہِ کانہہ مُفاداہ۔ بلکہ یُس محنت چھُو کران خدایہِ سندِ احکام بجانہ نَس اندر سُو چھُو محنت کران پننہ پانہِ فائدہ خیطرہ۔ ورنہ پئز پاٹھ اللہ تعالیٰ چھُو سارِوی لُوکو نِشہِ بالکل بے نیاز۔ سُو چھُونہ کانسہِ کُن مُحتاج وَالَّذِينَ آمَنُوا وَعَمِلُوا الصَّالِحَاتِ لَنُكَفِّرَنَّ عَنْهُمْ سَيِّئَاتِهِمْ وَلَنَجْزِيَنَّهُمْ أَحْسَنَ الَّذِي كَانُوا يَعْمَلُونَ بیہِ تمو لُوکو ایمان اُون بیہِ کریکھ رژہ عملہ اَسِ کرَو ضرور مغفرت تہندیَن گُنہن بیہِ دِمو تمن استحقاقہ خوتہ زیادہ رُت تہ زیادہ بدلہ۔ تمن رژن کامین ہُند یمہ کران آسِ تمِ دُنیاءَس اَندر وَوَصَّيْنَا الْإِنْسَانَ بِوَالِدَيْهِ حُسْنًا بیہِ کوراَسہِ حُکم انسانَس مالِس ماجہِ نسبت رُت سُلوک تہ احسان کرُنک۔ سیت وُنس یہِ کتھ تہِ کہِ وَإِنْ جَاهَدَاكَ لِتُشْرِكَ بِي مَا لَيْسَ لَكَ بِهِ عِلْمٌ فَلَا تُطِعْهُمَا ہرگاہ مُول مُوج زور گرہ نَے سُو چیز میون شریک ٹھہراونہ خیطرہ یمسندس معبُود آسنَس پیٹھ ژہِ نِشہِ کُنہی دلیل چھَنہ پَس یُتھنہ ژہِ تُہند مانکھ کُنُس

الْخَلْقَ ثُمَّ يُعِيدُهٗ وَهُوَ اَهْوَنُ عَلَيْهِ ۭ وَلَهُ الْمَثَلُ الْاَعْلٰى فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۚ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿٢٧﴾ ضَرَبَ لَكُمْ مَّثَلًا مِّنْ اَنْفُسِكُمْ ۭ هَلْ لَّكُمْ مِّنْ مَّا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ مِّنْ شُرَكَاۗءَ فِيْ مَا رَزَقْنٰكُمْ فَاَنْتُمْ فِيْهِ سَوَاۗءٌ تَخَافُوْنَهُمْ كَخِيْفَتِكُمْ اَنْفُسَكُمْ ۭ كَذٰلِكَ نُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ ﴿٢٨﴾ بَلِ اتَّبَعَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْٓا اَهْوَاۗءَهُمْ بِغَيْرِ عِلْمٍ ۚ فَمَنْ يَّهْدِيْ

---

آسان قدرتِ بشریه که اعتباره۔ وَلَهُ الْمَثَلُ الْاَعْلٰى فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ تس چھ تھدِ صفت تہ تھود شان تَس برابر تہ تَس ہیو چھنہ کانہہ تہ آسمانن تہ زمین اندر وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ سُی چھ غلبہ وول قادر مطلق حِکمتہ وول ضَرَبَ لَكُمْ مَّثَلًا مِّنْ اَنْفُسِكُمْ اللہ تعالیٰ اَن کور بیان توہہ شرک مذموم تہ باطل آسُن فکرہِ تارنہ خاطرہ تُھہزے اکھ مثالا اکھ هَلْ لَّكُمْ مِّنْ مَّا مَلَكَتْ اَيْمَانُكُمْ مِّنْ شُرَكَاۗءَ فِيْ مَا رَزَقْنٰكُمْ فَاَنْتُمْ فِيْهِ سَوَاۗءٌ تَخَافُوْنَهُمْ كَخِيْفَتِكُمْ اَنْفُسَكُمْ سُو مثال گیہ یہے کہ وارہ کروُتھہ غُور کہ کیاہ تُھہ چھوہ برابر مالِک ئُنہ قسمہ شریک تتھ مالس اندر یُس اسی توہہ عطا کور مت چھُہ۔ تُھہ تہِ تُھندِ غلام آسہ ہن تتھ مالس اندر برابر مالِک۔ تُھہ آسہِ ہیو کھوژان تمن غلامن تتھ مالس منز تصرفِ کرنس اندر۔ یتھ پاٹھ تُھہ پانہ وان اکھ شریک بیس شریکس نشہِ کھوژان چھوہ كَذٰلِكَ نُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ یتھے پاٹھ چھ اَس وِیژھہ ناو تھ بیان کران پنن آیات تمن لوکن ہندہ خاطرہ یمَن عقل چھ یعنے تُھہ یلہِ نہ پننہِ حقہ غلامن مملوکن ہند شریک آسُن برداشت کران چھوہ خدایہ سند مملوک کیازِہ چھوکھ تُھندِ شریک زانان یہ چُھہ بوڈ ظلم بَلِ اتَّبَعَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْٓا اَهْوَاۗءَهُمْ بِغَيْرِ عِلْمٍ بلکہ کریمو ظالموئنہ صحیح دلیلہِ ورای پننہ نین خیالاتِ فاسِدن تہِ نفسانی خواہشن ہنز پیروی فَمَنْ يَّهْدِيْ مَنْ اَضَلَّ اللّٰهُ یمس اِللہ تعالیٰ اپزس اصرار کرنہ سَبَبہ وتھ راوِرہ تَس کُنہ اَکھاہ ہیکہ وتھ تہ ہدایت کرِتھ وَمَا لَهُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ یمن گُمرہن یلہ عذاب ییہ کرِنہ تمہِ ساتہ ہیکہ نہ کانہہ تمن کُنہ قسمہ

مَنْ اَضَلَّ اللّٰهُ ؕ وَمَا لَهُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ ﴿۲۹﴾ فَاَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّيْنِ حَنِيْفًا ؕ فِطْرَتَ اللّٰهِ الَّتِيْ فَطَرَ النَّاسَ عَلَيْهَا ؕ لَا تَبْدِيْلَ لِخَلْقِ اللّٰهِ ؕ ذٰلِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ ۙ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۳۰﴾ مُنِيْبِيْنَ اِلَيْهِ وَاتَّقُوْهُ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَلَا تَكُوْنُوْا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿۳۱﴾ مِنَ الَّذِيْنَ فَرَّقُوْا دِيْنَهُمْ وَكَانُوْا شِيَعًا ؕ كُلُّ حِزْبٍ بِمَا لَدَيْهِمْ فَرِحُوْنَ ﴿۳۲﴾

---

ہدایت تہ مدد کرِ تھ۔ لہٰذا چھہ پریتھ اکس بُوزہ وِنس یوان وننہ فَاَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّيْنِ حَنِيْفًا ژہ سپد پریتھ باطل دِینہ نِشہ الگ۔ تو پتہ کر ژہ پَنُن رُخ دِین حقس کُن فِطْرَتَ اللّٰهِ الَّتِيْ فَطَرَ النَّاسَ عَلَيْهَا ژہ کر مُتابعت تہ پیروی تتھ قابلیتس یتھ قابلیتس پیٹھ اللہ تعالیٰ ان ساری انسان پیدہ کرمتِ چھہ۔ مَطلب اَمیُک چھُہ کہ اللہ تعالیٰ اَن چھُہ پریتھ شخصاہ پیدہ کورمُت پریتھ اکس چھُن استعداد عطا کورُمت کہ ہر گاہ سُہ پزِتھ بوزِن یژھِہ، فکرہ ترن یژھ، سُہ ہیکہِ بُوزِت تَس ہیکہ فکرِہ تر تھ۔ تتھ متابعت کرن گیہ کہ تتھ اِستعدادس تہ قابلیتس ہیِہ کام سُہ یُتھ منگان چھُہ تمہِ مُوجب کرِہ عمل لَا تَبْدِيْلَ لِخَلْقِ اللّٰهِ خدایہ سندِس اتھ پیدہ کرِتس چیزس، یتھ پیٹھ تم سارِی اِنسان پادہ کرمتِ چھہ گژھہ نہ تغیر و تبدیل کرُن ذٰلِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ یہے چھہ دِینچ مُحکم وَتھ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ مگر اکثر لوکھ چھنہ بوجہ عدم تدبیر زانان تمہ مُوکھ چھنہ تمیُک اِتباع کران مُنِيْبِيْنَ اِلَيْهِ وَاتَّقُوْهُ وَاَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَلَا تَكُوْنُوْا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ اِی لوکو تُہہ کرِو رجُوع تَس خدایس کُن بیہ کھوژِو تَس۔ تَہندس مخالفتس تہ مخالفتہ کِس عذابس بیہ کرِو دینِ اِسلام قبول تو پتہ تھاوِو برپا نماز پابندی سان بیہ مہ آسِو مُشرکو اندرہ مِنَ الَّذِيْنَ فَرَّقُوْا دِيْنَهُمْ وَكَانُوْا شِيَعًا كُلُّ حِزْبٍ بِمَا لَدَيْهِمْ فَرِحُوْنَ بیہ مہ آسِو تمو مُشرکو اندرہ تمو چھلہ کرِہ دِینس پنہ نِس تہ گیکھ واریاہ جماژ اک رَٹ اکھ وت اَپزہ تہ باطِل وتہ چھہ واریاہ تمو تراو پزِ وَتھ اَپزہ تہ باطِل وتہ تراوِکھ ای گو پنہ نس دِینس چھلہ کرنہ اک رٹ اکھ وتھ، بے رٹِ

وَإِذَا مَسَّ النَّاسَ ضُرٌّ دَعَوْا رَبَّهُم مُّنِيبِينَ إِلَيْهِ ثُمَّ إِذَا أَذَاقَهُم مِّنْهُ رَحْمَةً إِذَا فَرِيقٌ مِّنْهُم بِرَبِّهِمْ يُشْرِكُونَ ﴿٣٣﴾ لِيَكْفُرُوا بِمَا آتَيْنَاهُمْ ۚ فَتَمَتَّعُوا فَسَوْفَ تَعْلَمُونَ ﴿٣٤﴾ أَمْ أَنزَلْنَا عَلَيْهِمْ سُلْطَانًا فَهُوَ يَتَكَلَّمُ بِمَا كَانُوا بِهِ يُشْرِكُونَ ﴿٣٥﴾ وَإِذَا أَذَقْنَا النَّاسَ رَحْمَةً فَرِحُوا بِهَا ۖ وَإِن تُصِبْهُمْ سَيِّئَةٌ بِمَا قَدَّمَتْ أَيْدِيهِمْ إِذَا هُمْ يَقْنَطُونَ ﴿٣٦﴾

---

بیاکھ وتھ اَمی سیت گیہ واریاہ جماژ۔ اگر پزِ وَتہِ پیٹھ رُوزہٕ ہَن تیلہِ آسہا گنِ جماعت۔ باوجودِ آمکہِ یمہ سارے وَتہ چھ باطل تہ اپزٕ توتہِ چھ جہل ونادانی کِنۍ تموٕ اندرہ پریتھ اکھاہ پننہِ پننہِ وتہ پیٹھ ژینگان۔ خیال کران کہ بہ چھس صحیح وتہ پیٹھ حالانکہ یہ اَم سُند خیال چھ بالکل غلط۔ سیز وَتھ چھ توحید چ وَتھ۔ یتھ وتہ کُن آس تمن نادِدوان چھ عام طور چھ تمن لوکن ہندہِ حال وقالہ سیت ثابت سپدان کہ یُوہے چھ دِین حق۔ کیازٕ اضطرار کہ وقتہ چھہِ تمِ تہ اتھ دِینس تسلیم کران۔ یمہ اندرہ ثابت چھ سپدان کہ واقعی چھ یُوہے دین فطرت۔ چنانچہ اللہ تعالیٰ چھ فرماوان وَإِذَا مَسَّ النَّاسَ ضُرٌّ دَعَوْا رَبَّهُم مُّنِيبِينَ إِلَيْهِ ثُمَّ إِذَا أَذَاقَهُم مِّنْهُ رَحْمَةً إِذَا فَرِيقٌ مِّنْهُم بِرَبِّهِمْ يُشْرِكُونَ یلہِ لُوکن کانہہ سختیاہ واتان چھ تمہِ ساتہ چھہِ بیقرار سپدِ تھ آلو دِوان پننہ نسے حقیقی پروردگارس لَس کُن رجوع کرتھ توپتہ یلہ سُہ تمن پننہ رحمتک مزہ چھ ہاوان سو سختی دور کرنہ سیتِ اَتی چھہِ تموٕ اندرہ اکھ جماعت پننہ نس پروردگارس بیہ شرک اَنان لِيَكْفُرُوا بِمَا آتَيْنَاهُمْ یتھ کُفران نعمت کرن تتھ نعمتس یُوسہ اَسہ تمن عطا کرِ یہ فَتَمَتَّعُوا پس تل تموٕ تمتعاہ کینہہ کالاہ فَسَوْفَ تَعْلَمُونَ برونہہ پھن زانِو پانے امیک مزہ أَمْ أَنزَلْنَا عَلَيْهِمْ سُلْطَانًا فَهُوَ يَتَكَلَّمُ بِمَا كَانُوا بِهِ يُشْرِكُونَ کنہ اَسہ چھ تمن پیٹھ کانہہ دلیلاہ کانہہ کتابہ نازل کرمژ۔ سوی کیاہ چھہِ تمن دپان شرکچہ تھ تہ کامہِ کرو وَإِذَا أَذَقْنَا النَّاسَ رَحْمَةً فَرِحُوا بِهَا یلہ اس لوکن پننہِ مہربانی ورحمتک مزہ چھہِ ہاوان تمہ سیتِ چھ تم خوش گژھان۔ تمہ سببہ چھ غفلتس منز بوڈ تھ شرکچہ کامہِ کران وَإِن تُصِبْهُمْ سَيِّئَةٌ بِمَا قَدَّمَتْ أَيْدِيهِمْ توپتہ ہرگاہ تمن واتان چھ کانہہ سختیاہ تمن پچھ

أَوَلَمْ يَرَوْا أَنَّ اللَّهَ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَشَاءُ وَيَقْدِرُ ۚ إِنَّ فِي ذَٰلِكَ لَآيَاتٍ لِقَوْمٍ يُؤْمِنُونَ ﴿٣٧﴾ فَآتِ ذَا الْقُرْبَىٰ حَقَّهُ وَالْمِسْكِينَ وَابْنَ السَّبِيلِ ۚ ذَٰلِكَ خَيْرٌ لِلَّذِينَ يُرِيدُونَ وَجْهَ اللَّهِ ۖ وَأُولَٰئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ ﴿٣٨﴾ وَمَا آتَيْتُمْ مِنْ رِبًا لِيَرْبُوَ فِي أَمْوَالِ النَّاسِ فَلَا يَرْبُو عِنْدَ اللَّهِ ۖ وَمَا آتَيْتُمْ مِنْ زَكَاةٍ

---

کامين هنده شامته سبب تهنده اُتھ آمڙه ڇھ آسان إِذَا هُمْ يَقْنَطُونَ اتِي ڇھِ تمِ نااميد سپدان أَوَلَمْ يَرَوْا أَنَّ اللَّهَ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَشَاءُ وَيَقْدِرُ کياه تمِ ڇھناوٚ ڇھان که پزپاٹ الله تعالیٰ اي ڇھ رزقس اندر وسعت کران يَس يژهان ڇھ۔ بيه ڇُھ سُي تنگی کران رزقس اندر يَس يژهان ڇُھ تس إِنَّ فِي ذَٰلِكَ لَآيَاتٍ لِقَوْمٍ يُؤْمِنُونَ بے شک اتھ منز ته ڇھ بڈبڈ نشانه خدايه سندهِ قُدرتک ته گن آسکِ باايمانن هنده خاطره فَآتِ ذَا الْقُرْبَىٰ حَقَّهُ وَالْمِسْكِينَ وَابْنَ السَّبِيلِ پس يلهِ توحيد ڇودليلو سيتِ معلوم سپد که رزقچ تنگی ته وسعت ڇھ خدايه سي اَتھِ اَمہ سيتِ سپز بياکھ کتھ ثابتِ که بُخل کرن ڇُھ سيٹھاه يچھ کيازه اَمہ سيتِ مُقدرس اندر زيادتی هيکه نه سَپدِت لهذا ڇھ بُخل کرن بے فائده اے مسلمانو تُهه مه آسو بخل کران بلکه آسو قرابته والين واتناوان تهند حق بيه مسکين بيه مسافرن ذَٰلِكَ خَيْرٌ لِلَّذِينَ يُرِيدُونَ وَجْهَ اللَّهِ وَأُولَٰئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ اي ڇُھ بهتر تمن لوکن هنده خيطره يم ژهانڈان ڇھ رضایِ خدا بيه ڇھ تمے لوکھ رستگار ته کامياب۔ وَمَا آتَيْتُمْ مِنْ رِبًا لِيَرْبُوَ فِي أَمْوَالِ النَّاسِ فَلَا يَرْبُو عِنْدَ اللَّهِ بيه يُس چيز تُهه دنيا خاطره ته خرچ کران ڇھوه يمه غرضه که سُه چيز واتهِ لوکن هندس مالس اندر توپته يمهِ ساته تمن سُه چيز واپس کرنگ وقت واتهِ تمهِ ساته واته اَسه نِشه سُه چيز رُت ته زياده سپدت يته پاٹھِ دُنيوی رُسوٚمن اندر عام طور کرنه ڇُھ يوان اِتھ هينه دِنس ڇھنه الله اس نِشه کانهه زيادتی سپدان کيازِه خُدا ايس نشه ڇُھ نه سُه مال واتان نه ڇُھ سُه زياده سپدان۔ يُسنه تهنده رضا خاطره آسه دِنه آمت۔ چونکه اَتھ هينه دِنس منز ڇھنه خدايه سندِه رضاهچ کانهه نيت آسان لهذا ڇھ نه يه

تُرِيْدُوْنَ وَجْهَ اللّٰهِ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُضْعِفُوْنَ ﴿٣٩﴾ اَللّٰهُ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ ثُمَّ رَزَقَكُمْ ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ ثُمَّ يُحْيِيْكُمْ ۭ هَلْ مِنْ شُرَكَاۗىِٕكُمْ مَّنْ يَّفْعَلُ مِنْ ذٰلِكُمْ مِّنْ شَيْءٍ ۭ سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُوْنَ ﴿٤٠﴾ ظَهَرَ الْفَسَادُ فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ بِمَا كَسَبَتْ اَيْدِي النَّاسِ لِيُذِيْقَهُمْ بَعْضَ الَّذِيْ عَمِلُوْا لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ ﴿٤١﴾ قُلْ سِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ

---

وَمَآ اٰتَيْتُمْ مِّنْ زَكٰوةٍ تُرِيْدُوْنَ وَجْهَ اللّٰهِ فَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُضْعِفُوْنَ تہنزٕ ہ درگاہِ اندر قبول سپدان نہ چھِہ اَتھہ منز کینہہ زیادتی سپدان مگر یُس رقم تُہہ دِوان چھوہ خدایہ سندِہ خاطرہ زکوٰۃ ہش یتھ منز ژھانڈان چھوہ تُہہ خدایہ سُندی رضا اَمِہ قسمک لُوکھ چھِہ خدالیس نِشہِ جمع کرتھ پتھ دیٖتمت مال ہُرہ راوان زیادہ کران اَللّٰهُ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ ثُمَّ رَزَقَكُمْ ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ ثُمَّ يُحْيِيْكُمْ معبوٗدِ برحقی چھِہ سُہ ذاتِ پاک یم تُہہ پیدہ کروہِ توپتہ کورنوہ رزق عطا توپتہ چھوہ سے ماران توپتہ کرِوہ سُے بیہ زندہ قیامتک دوہ سُہ چھِہ اَمِہ قسمُک قُدرتہ وول هَلْ مِنْ شُرَكَاۗىِٕكُمْ مَّنْ يَّفْعَلُ مِنْ ذٰلِكُمْ مِّنْ شَيْءٍ توہِ ونتو کیاہ تُہند یو شریکو اندرہ تہِ چھا کانہہ یتھ یس تِمو کامیو اندرہ کانہہ کاماہ چھ کرِتھ ہیکان سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يُشْرِكُوْنَ پس سپد ثابت کہ سُہ چھِہ منزہ تہ پاک بیہ بلند تر برتر۔ تمہِ ساری شِرکہ نِشہ یُس شِرک تمِ لوکھ تس کُن لاگان چھِہ ظَهَرَ الْفَسَادُ فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ بِمَا كَسَبَتْ اَيْدِي النَّاسِ لِيُذِيْقَهُمْ بَعْضَ الَّذِيْ عَمِلُوْا لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ شرک و نافرمانی ہند اثر چھِہ تیتھ خراب کہ ظاہر سپز تباہی قحط تہ وباء بیہ طوفان خُشکی اندرتہِ تری اندرتہِ یعنی ساری دنیا اَس اندر لوگن ہنزو یچھ عملو سیتِ یتھ اللّٰہ تعالیٰ تِمن مزہ ژہناوِہ تُہنزن بعضے کامین ہندیمہ تمو کرہ دَیہ تم پائس پین۔ تمو یچھ کامیو نِشہِ رُوزن پتھ۔ ہرگاہ یمن مُشرگن اتھ اندر کانہہ شک چھِہ۔ قُلْ سِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ

مِنْ قَبْلُ ؕ كَانَ اَكْثَرُهُمْ مُّشْرِكِيْنَ ﴿۴۲﴾ فَاَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّيْنِ
الْقَيِّمِ مِنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَ يَوْمٌ لَّا مَرَدَّ لَهٗ مِنَ اللّٰهِ يَوْمَئِذٍ
يَّصَّدَّعُوْنَ ﴿۴۳﴾ مَنْ كَفَرَ فَعَلَيْهِ كُفْرُهٗ ۚ وَمَنْ عَمِلَ صَالِحًا
فَلِاَنْفُسِهِمْ يَمْهَدُوْنَ ﴿۴۴﴾ لِيَجْزِيَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا
الصّٰلِحٰتِ مِنْ فَضْلِهٖ ؕ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْكٰفِرِيْنَ ﴿۴۵﴾ وَمِنْ اٰيٰتِهٖۤ
اَنْ يُّرْسِلَ الرِّيَاحَ مُبَشِّرٰتٍ وَّلِيُذِيْقَكُمْ مِّنْ رَّحْمَتِهٖ وَلِتَجْرِيَ

---

مِنْ قَبْلُ تُہہ فرماوِیو کھ یارسول اللہ ای لوکو تُہہ پھیر تو سارسے زمینس منز تو پتہ وچھتو کیاہ چھو سپدمُت اَنجام تِمن مُشرک لوگن ہند یم توہہ بُرونٹھ آسِ۔ كَانَ اَكْثَرُهُمْ مُّشْرِكِيْنَ تِموانِدرہ آس اکثر مُشرک۔ تُہہ وچھتو کہ تِم کِتھ پاٹھے آے گالنہ عذابِ آسمانی سیتِ یمہ سیتِ صاف چھ وَنان کہ شرک چھُ بوڑ گناہ۔ ییلہِ شرکُک یِچھ آسن ظاہر سپُد پس اِی مخاطِب فَاَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّيْنِ الْقَيِّمِ مِنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَ يَوْمٌ لَّا مَرَدَّ لَهٗ مِنَ اللّٰهِ يَوْمَئِذٍ يَّصَّدَّعُوْنَ پس تھاوُزہ پنُن بُتھ سیود محکم دِینس اِسلامس تہ توحیدس کُن تتھ پیٹھ کر استقامت سُہ دوہ ینہ برونٹھ۔ یتھنہ خدایہ سِندہِ طرفہ پتھہ برونٹھہ ڈلُن چھُ بلکہ چھُ قطعاً تہ یقیناً سُہ دوہ اِوہ وُن تمی دوہہ سپدن لوگن عملن ہندہ اِعتبارہ زہ حصہ اکھ واتہ جنتس بیاکھ واتہ جہنمس یتھ پاٹھ کہ مَنْ كَفَرَ فَعَلَيْهِ كُفْرُهٗ ۚ وَمَنْ عَمِلَ صَالِحًا فَلِاَنْفُسِهِمْ يَمْهَدُوْنَ یُس شخص کُفرچہ کامہ کران آسہِ تس چھہ تِمن کامین ہند سزا کھیون بیہ یم لُوکھ رَژہ عملہ کران آسن تِم چھِ پنہ نین پانن ہنزہ کامیابی ہند سنزتہ سامان تیار کران لِيَجْزِيَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ مِنْ فَضْلِهٖ ؕ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الْكٰفِرِيْنَ یتھ اللہ تعالیٰ پننہِ فضلہ سیتِ رَژ مزورِ عطاکرِہ تِمن لوکن یِموایمان اُون بیہ کریکھ رَژہ عملہ کافر سپدن تِمن نِشہِ محروم کیازہ اللہ تعالیٰ چھُنہ پسند کران کافرن وَمِنْ اٰيٰتِهٖۤ اَنْ يُّرْسِلَ الرِّيَاحَ بیہ چھُ پروردگارہ سِندیو قُدرتہ کیو نشانو اندرہ کہ سہ چھُ واون سوزان رُود ینہ برونٹھ رودچ خوشخبری ہیتھ بیہ یتھو توہ ہاوہ سُو مزہ پننہ رحمتُک یعنے باران رحمتُک مُبَشِّرٰتٍ وَّلِيُذِيْقَكُمْ مِّنْ

الْفُلْكُ بِاَمْرِهٖ وَلِتَبْتَغُوْا مِنْ فَضْلِهٖ وَلَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ﴿۴۶﴾ وَ
لَقَدْ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ رُسُلًا اِلٰى قَوْمِهِمْ فَجَآءُوْهُمْ
بِالْبَيِّنٰتِ فَانْتَقَمْنَا مِنَ الَّذِيْنَ اَجْرَمُوْا ؕ وَكَانَ حَقًّا
عَلَيْنَا نَصْرُ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۴۷﴾ اَللّٰهُ الَّذِيْ يُرْسِلُ الرِّيٰحَ
فَتُثِيْرُ سَحَابًا فَيَبْسُطُهٗ فِى السَّمَآءِ كَيْفَ يَشَآءُ وَيَجْعَلُهٗ
كِسَفًا فَتَرَى الْوَدْقَ يَخْرُجُ مِنْ خِلٰلِهٖ ۚ فَاِذَآ اَصَابَ بِهٖ

---

رَّحْمَتِهٖ وَلِتَجْرِيَ الْفُلْكُ بِاَمْرِهٖ بيه يته تمه واءِ سيت پڻ تهندءِ حُڪم سيت درياءَن اندر ٻيڙا ناوه ته جهازه وَلِتَبْتَغُوْا مِنْ فَضْلِهٖ بيه يته تهه جهازن ته ناءَن اندر سير ڪري ڍ هانڍوءِ ته تلاش ڪرو تهند فضل يعني روزي وَلَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ بيه تهه شڪر گذاري ڪرو تهنز. يمه نعمهٔ آسته ته چهه مُشرڪ ناسپاسي ڪران. شرڪ اَننه سيت، اَحڪامن هنز مخالفت ڪرنه سيت پيغمبرن ته باايمانن ايذادِنه سيتِ مگر تهه مه سپدوامِه خاطره آزرده ته غمگين ڪيازه اس هيمو تمن نشهِ عنقريب اَميگ انتقام يته پاٹھ برونٹھ ته يته واقعه سپدمَتِ چهه چنانچه وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ رُسُلًا اِلٰى قَوْمِهِمْ فَجَآءُوْهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ فَانْتَقَمْنَا مِنَ الَّذِيْنَ اَجْرَمُوْا بے شڪ يله سوزِاسهِ توهه برونٹھ يارسول الله واريا پيغمبر پنه نين قومَن ڪُن توپته آي تمِ پيغمبر تمن نشه نن مُعجزات ته ننه دليله هيته مگر تموزان تم اَپز. پس هيوت اَسهِ تمن لوڪن نشه يمو نافرماني ڪر انتقام وَكَانَ حَقًّا عَلَيْنَا نَصْرُ الْمُؤْمِنِيْنَ ڪيازه اَسهِ پيٹھ اُوس مٹهِ باايمانَن ياري ڪرن پننه وعده مُوجب اَللّٰهُ الَّذِيْ يُرْسِلُ الرِّيٰحَ فَتُثِيْرُ سَحَابًا فَيَبْسُطُهٗ فِى السَّمَآءِ كَيْفَ يَشَآءُ معبُود برحق چهه يتهي قدرته ڈول ته حڪمته ڈول يُس واوسوزان چهه. سهٔ واو چهه اَبرس تُلان تو پته چهُس آسمان ڪهارت مُوه راوان يته پاٹھ سهٔ يڑهان چهه وَيَجْعَلُهٗ كِسَفًا فَتَرَى الْوَدْقَ يَخْرُجُ مِنْ خِلٰلِهٖ توپته چهُس ٿهاوان تهه به تهه توپته ڇهڪهه ژه وچهان رود چهه نيران تمه اَبره منزه فَاِذَآ اَصَابَ بِهٖ مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖٓ اِذَا هُمْ يَسْتَبْشِرُوْنَ توپته يلهِ سهٔ رود واتناوُن چهه پننه نيو

مَنۡ يَّشَآءُ مِنۡ عِبَادِهٖۤ اِذَا هُمۡ يَسۡتَبۡشِرُوۡنَ ﴿٤٨﴾ وَاِنۡ كَانُوۡا مِنۡ قَبۡلِ اَنۡ يُّنَزَّلَ عَلَيۡهِمۡ مِّنۡ قَبۡلِهٖ لَمُبۡلِسِيۡنَ ﴿٤٩﴾ فَانۡظُرۡ اِلٰٓى اٰثٰرِ رَحۡمَتِ اللّٰهِ كَيۡفَ يُحۡىِ الۡاَرۡضَ بَعۡدَ مَوۡتِهَا ؕ اِنَّ ذٰلِكَ لَمُحۡىِ الۡمَوۡتٰى ۚ وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَىۡءٍ قَدِيۡرٌ ﴿٥٠﴾ وَلَئِنۡ اَرۡسَلۡنَا رِيۡحًا فَرَاَوۡهُ مُصۡفَرًّا لَّظَلُّوۡا مِنۡۢ بَعۡدِهٖ يَكۡفُرُوۡنَ ﴿٥١﴾ فَاِنَّكَ لَا تُسۡمِعُ الۡمَوۡتٰى وَلَا تُسۡمِعُ الصُّمَّ الدُّعَآءَ اِذَا وَلَّوۡا مُدۡبِرِيۡنَ ﴿٥٢﴾

بندواندره تمن، تمن نشه سه واتناؤن پڑهان پڇهِ اتي پڇهِ تم خوش گڑهان ته شاديانه كران۔ وَاِنۡ كَانُوۡا مِنۡ قَبۡلِ اَنۡ يُّنَزَّلَ عَلَيۡهِمۡ مِّنۡ قَبۡلِهٖ لَمُبۡلِسِيۡنَ حالانكه تمِ آس يقيناً امِه رود كه ينه برونٹھ بالكل ناميد ته مايوس سپدُمت فَانۡظُرۡ اِلٰٓى اٰثٰرِ رَحۡمَتِ اللّٰهِ كَيۡفَ يُحۡىِ الۡاَرۡضَ بَعۡدَ مَوۡتِهَا اِنَّ ذٰلِكَ لَمُحۡىِ الۡمَوۡتٰى وَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَىۡءٍ قَدِيۡرٌ پس وڇھ ژه خدايه سندِه رحمتك آثار ته نتيجه كته پاٹھ ڇُھ پننهِ رحمته سيت مُوتس يعني خشك گامتس زمينس زنده كران يعني تروتازه۔ بے شك يه كتھ ڇھ نعمت ته دليل وحدت آسنه علاوه دليل يمه كتھ هنز كه الله تعالىٰ ڇُھ قدرته ووَل لوكن هندِه مرنه پته تمن بيه زنده كرنس پیٹھ۔ امِه سيت سپد ثابت كه يُوهے خُدا ڇُھ يقيناً زنده كران سارنے مُردن بيه ڇُھ سی پرِيتھ چيزس پیٹھ قدرته ووَل وَلَئِنۡ اَرۡسَلۡنَا رِيۡحًا فَرَاَوۡهُ مُصۡفَرًّا لَّظَلُّوۡا مِنۡۢ بَعۡدِهٖ يَكۡفُرُوۡنَ تو پته هرگاه سوزواس تُهندس زراعتس پیٹھ مضر هَوا يمه سيت تمِ وڇھن تتھ زراعتس زرد سپدت خشك گڑهان يك دم بدله تُهند حال تمهِ پتے هين تم كُفرانِ نعمت كرُن۔ يمه نعمژ سانه روز نكھ نه يادے۔ امِه سيتِ سپدُ معلوم كه تمِ ڇھ بكس تهندِه خاطره غم كهيون ڇُھ بے كار فَاِنَّكَ لَا تُسۡمِعُ الۡمَوۡتٰى وَلَا تُسۡمِعُ الصُّمَّ الدُّعَآءَ اِذَا وَلَّوۡا مُدۡبِرِيۡنَ تُهه نه حض هيكيو كھ نه بُوزه ناوِ تھ مُرده بيه نه حض هيكيو كھ بُوزه ناو تھ زرِپن آلو۔ خصوصاً يله تمِ توهه گن تھر پھرِ تھ توهه نشه دُور ژلان آسن وَمَاۤ اَنۡتَ بِهٰدِ الۡعُمۡىِ عَنۡ ضَلٰلَتِهِمۡ بيه نه حض هيكوِ نه تُهه وَتھ هاوتھ انِين يلهِ تمن وَتھ راوِمژ آسهِ اِنۡ تُسۡمِعُ اِلَّا مَنۡ يُّؤۡمِنُ بِاٰيٰتِنَا فَهُمۡ مُّسۡلِمُوۡنَ تُهه هيكيو كھ نه

وَمَآ اَنْتَ بِهٰدِ الْعُمْیِ عَنْ ضَلٰلَتِهِمْ ؕ اِنْ تُسْمِعُ اِلَّا مَنْ يُّؤْمِنُ بِاٰيٰتِنَا فَهُمْ مُّسْلِمُوْنَ ﴿۵۳﴾ اَللّٰهُ الَّذِیْ خَلَقَكُمْ مِّنْ ضُعْفٍ ثُمَّ جَعَلَ مِنْۢ بَعْدِ ضُعْفٍ قُوَّةً ثُمَّ جَعَلَ مِنْۢ بَعْدِ قُوَّةٍ ضُعْفًا وَّشَيْبَةً ؕ يَخْلُقُ مَا يَشَآءُ ۚ وَهُوَ الْعَلِيْمُ الْقَدِيْرُ ﴿۵۴﴾ وَيَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ يُقْسِمُ الْمُجْرِمُوْنَ ۙ مَا لَبِثُوْا غَيْرَ سَاعَةٍ ؕ كَذٰلِكَ كَانُوْا يُؤْفَكُوْنَ ﴿۵۵﴾ وَقَالَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ وَالْاِيْمَانَ لَقَدْ لَبِثْتُمْ فِیْ كِتٰبِ اللّٰهِ اِلٰى يَوْمِ الْبَعْثِ ؗ فَهٰذَا

---

بوزہ ناوِ تھ مگر یم پڑھ کران چھِ سانین آیاتن۔ تمے چھِ سانین حُکمن گردن وارہ ونِ ییلہ یم لُوکھ مُشابہِ چھِ مُردن تہ زرین پٕس مہٕ تھاوِ وُنھِہ توقع تہ برانتھ ایمانچ تمن نِشہِ نہ مہٕ کھیو تہندہ ایمان نہ انہ نُگ کانہہ غم اَللّٰهُ الَّذِیْ خَلَقَكُمْ مِّنْ ضُعْفٍ ثُمَّ جَعَلَ مِنْۢ بَعْدِ ضُعْفٍ قُوَّةً ثُمَّ جَعَلَ مِنْۢ بَعْدِ قُوَّةٍ ضُعْفًا وَّشَيْبَةً معبودِ برحق چھ سی ذاتِ پاک یم تُہہ پیدہ کرنوہ کمزوری ہندِس حالتس منز سو گیہ انسانہ سنز ابتدائی حالتھ لوکہ چارچ حالتھ تو پتہ کورنوہ تمہِ کمزوری پتہ قوت تہ طاقت عطا یعنے جوانی تمہ قو تہ پتہ کرنوہ بیہ کمزوری تہ بجر عطا يَخْلُقُ مَا يَشَآءُ وَهُوَ الْعَلِيْمُ الْقَدِيْرُ سُہ یہ یژھان چھ تہ چھ پیدہ کران۔ پریتھ تصرفس چھ سُہ پورزانان۔ تتھ تصرفہ کِس جاری تہ نافذ کرنس پیٹھ چھ پور قُدرت تھاوان۔ سُی چھ سُورے زانہ وُن پُور قدرت تہ وول وَيَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ يُقْسِمُ الْمُجْرِمُوْنَ مَا لَبِثُوْا غَيْرَ سَاعَةٍ كَذٰلِكَ كَانُوْا يُؤْفَكُوْنَ تمہِ دوہہ قیامت قایم سپدہ کافر تہ نافرمان لُوکھ ہاون تمہِ دُہکِ ہولناک حالاتو چھتھ قسم کہ قیامت آیہ سیٹھاہ جلد۔ اِس رودِنہ قبرن اندر یعنی عالم برزخس اندر مگر اکس گرِہ تہ اکس ساعتس۔ یتھے پاٹھ اِس ناتم دُنیاہس منز تہ ڈلتہ پکان یعنی دنیاہس منز تہ آسِ تِم لوکھ غلط خیالات دِلن منز جماوِ تھ پھرتھِ گتھ کران وَقَالَ الَّذِيْنَ اُوْتُوا الْعِلْمَ وَالْاِيْمَانَ لَقَدْ لَبِثْتُمْ فِیْ كِتٰبِ اللّٰهِ اِلٰى يَوْمِ الْبَعْثِ تمن مُجرمن

يَوْمُ الْبَعْثِ وَلَٰكِنَّكُمْ كُنْتُمْ لَا تَعْلَمُونَ ﴿٥٦﴾ فَيَوْمَئِذٍ لَّا يَنْفَعُ الَّذِينَ ظَلَمُوا مَعْذِرَتُهُمْ وَلَا هُمْ يُسْتَعْتَبُونَ ﴿٥٧﴾ وَلَقَدْ ضَرَبْنَا لِلنَّاسِ فِي هَٰذَا الْقُرْآنِ مِنْ كُلِّ مَثَلٍ ۚ وَلَئِنْ جِئْتَهُمْ بِآيَةٍ لَّيَقُولَنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا إِنْ أَنْتُمْ إِلَّا مُبْطِلُونَ ﴿٥٨﴾

---

ونن تمِ لوکھ یمن علم تہ ایمان عطا کرنہ آمت آسہِ یعنی بایمانن یمن شریعتہ کین چیزن ہنٛدٕ پتہ چھہ اے کافرو تُہہ ٹھہرے وہ قبرن اندر خدایہ سندِہ لیکھتمہ تہ مُقرر کرمتہ وقتہ مُوجُب برابر قیامتہ کِس دُوہس تان فَهَٰذَا يَوْمُ الْبَعْثِ وَلَٰكِنَّكُمْ كُنْتُمْ لَا تَعْلَمُونَ یکیا چُھہ ازوارہ کارہ قیامتُک دوہ مگر تُہہ کِتہ آسوہ یمہ دُہک یقین تھاوان بلکہ آسوہ تکذیب تہ اِنکار کران تمی اِنکارہ کہ شامتہ چھوہ از پریشان فَيَوْمَئِذٍ لَّا يَنْفَعُ الَّذِينَ ظَلَمُوا مَعْذِرَتُهُمْ وَلَا هُمْ يُسْتَعْتَبُونَ پس دیہ نہ تمہ دوہہٕ کانہہ نفع تہ فائدہ تمن لوکن یموشرکہ تہ کُفرہ سیت پانس ظلم کور عذر کرن نسیہِ تمن نشہ عذر پیش کرنُک تہ تُوبہ کرنُک یاخدایس راضی کرہ نُک مُطالبہ کرنہ کیازِہ تمیُک وقت آسہِ گذریومُت۔ وَلَقَدْ ضَرَبْنَا لِلنَّاسِ فِي هَٰذَا الْقُرْآنِ مِنْ كُلِّ مَثَلٍ بیہ کرہ اَسہِ بیان یتھ قرآن مجیدس منز لوکن فکرہ تارنہ خاطرہ بیہ تمن ہدایت بنہ خاطرہ پریتھ قسمچہ مثالہ تہ پریتھ قسمک مضامین یم پننہ کمالِ بلاغتہ سببہ مقتضی آس کہ یمن کافرن بنہ ہاہدایت مگر نہایت بغض وعنادہ سببہ گُورنہ تموسٕہ قبول۔ تمی سپدٕنہ تمن کانہہ فائدہ حاصل۔ وَلَئِنْ جِئْتَهُمْ بِآيَةٍ تو پتہ ہرگاہ تُہہ یارسول اللہ تمن نِشہِ انو تمو معجزواندرہ کانہہ مُعجزاہ یمن ہنٛز تمِ فرمائش چھہ کران لَيَقُولَنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا إِنْ أَنْتُمْ إِلَّا مُبْطِلُونَ تُوتہِ ونٕن ضرور کافر کہ تُہہ ساری

كَذٰلِكَ يَطْبَعُ اللّٰهُ عَلٰى قُلُوْبِ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۵۹﴾ فَاصْبِرْ اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ وَّلَا يَسْتَخِفَّنَّكَ الَّذِيْنَ لَا يُوْقِنُوْنَ ﴿۶۰﴾

چھوہ اَپزیار كَذٰلِكَ يَطْبَعُ اللّٰهُ عَلٰى قُلُوْبِ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ یتھے پاٹھ چھ اللہ تعالیٰ نادانن ہندین دِلن پیٹھ مُہر کران یعنی روز بروز چُھ تہندہ قبول کرنُک اِستعداد سُست تہ ضعیف سپدان بُغض وعنادُک قوت قوی سپدان فَاصْبِرْ اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ وَّلَا يَسْتَخِفَّنَّكَ الَّذِيْنَ لَا يُوْقِنُوْنَ پس کرِو تُہہ یارسول اللہ تہِندس تکلیفس تہ ایذاءس پیٹھ صبر یِزِ پاٹھ اللہ تعالیٰ اَن یُس یاری ہند وعدہ تُوہہ سیت کورمُت چُھ سُو چُھ حق تہ یوزیم مُنکرین قیامت مہ سپدن باعث توہہ بے صبری کرنس پیٹھ۔



## سُورۃ لُقمان

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

الٓمّٓ ① تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْحَكِيْمِ ② هُدًى وَّرَحْمَةً لِّلْمُحْسِنِيْنَ ③
الَّذِيْنَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَيُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَهُمْ بِالْاٰخِرَةِ هُمْ
يُوْقِنُوْنَ ④ اُولٰٓئِكَ عَلٰى هُدًى مِّنْ رَّبِّهِمْ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ ⑤
وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَّشْتَرِيْ لَهْوَ الْحَدِيْثِ لِيُضِلَّ عَنْ سَبِيْلِ
اللّٰهِ بِغَيْرِ عِلْمٍ ۖ وَّيَتَّخِذَهَا هُزُوًا ۗ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ ⑥
وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِ اٰيٰتُنَا وَلّٰى مُسْتَكْبِرًا كَاَنْ لَّمْ يَسْمَعْهَا كَاَنَّ

---

الٓمّٓ یم چھہ حروفِ مُقطعات۔ تِمن ہند معنیٰ زانہ پانہ خدا تِلْكَ اٰيٰتُ الْكِتٰبِ الْحَكِيْمِ یم آیات چھہ محکم تہٕ مضبوط کتابہ ہند هُدًى وَّرَحْمَةً لِّلْمُحْسِنِيْنَ یُوسہ کتاب بڈٕ ہدایت تہٕ بڈٕ رحمت چھہ نیکو کارن ہندِ خاطرہ الَّذِيْنَ يُقِيْمُوْنَ الصَّلٰوةَ وَيُؤْتُوْنَ الزَّكٰوةَ وَهُمْ بِالْاٰخِرَةِ هُمْ يُوْقِنُوْنَ تِم نیکو کار گئے تِمے یم نماز قایم تھاوان چھہِ بیہ یم زکوٰۃ ادا کران چھہِ۔ بیہ تِم آخرتک پور یقین تھاوان چھہِ اُولٰٓئِكَ عَلٰى هُدًى مِّنْ رَّبِّهِمْ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ تِمے چھہِ پنہٕ نِس پروردگارہ سنزہ سِیزہ وَتہٕ پیٹھ۔ بیہ چھ تِمے کامیاب تہٕ رستگار وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَّشْتَرِيْ لَهْوَ الْحَدِيْثِ لِيُضِلَّ عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ بِغَيْرِ عِلْمٍ بیہ چھہِ لوکو اندرہ بعضی لوکھ تِمہ قسمک یم عملی چھہ ہیوان قرآنِ مجیدہ نِشہِ اعراض کرتھ واہیات تہٕ فضول قصہٕ یتھہ لوکن تِم ڈالن فضول کتھہ ون ون خدایہ سنزہ وَتہٕ نِشہ نادانی سیت وَّيَتَّخِذَهَا هُزُوًا بیہ زانہ تتھ اکھ ٹھٹھاہ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ تِمے لوکھ گئے تِم یِہندہ خاطرہ خوار کرہ ڈن عذاب چھہِ۔

فِیۡۤ اُذُنَیۡہِ وَقۡرًا ۚ فَبَشِّرۡہُ بِعَذَابٍ اَلِیۡمٍ ﴿۷﴾ اِنَّ الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا
الصّٰلِحٰتِ لَہُمۡ جَنّٰتُ النَّعِیۡمِ ﴿۸﴾ خٰلِدِیۡنَ فِیۡہَا ؕ وَعۡدَ اللّٰہِ حَقًّا ؕ

---

وَاِذَا تُتۡلٰی عَلَیۡہِ اٰیٰتُنَا وَلّٰی مُسۡتَکۡبِرًا کَاَنۡ لَّمۡ یَسۡمَعۡہَا کَاَنَّ فِیۡۤ اُذُنَیۡہِ وَقۡرًا فَبَشِّرۡہُ بِعَذَابٍ اَلِیۡمٍ بیہ
یلہِ پرنہ یوان چھِہ تمِس پیٹھ ساںِ آیات تھر پھر تھ چھ ژلان تکبرٕ ہ سان زن نہ بُوزنے۔ زن تہندین
کنن دون زراوس۔ پس خبر دیو تس کڈرہ عذابچ۔ یمہِ آیہ ء کریمک شانِ نزول چھ کہ اکھ شخصاہ اوس
کافرن ہندیوز ٹھیو اندرہ یُس نضر بن حارث ناو اُوس۔ سُہ اُوس گرٕ ھان ملک فارٕس کُن تجارتہ خاطرہ
تہ اُوس تتہ کین پادشہن ہند قصہ تہ تاریخ مثل ہیوان۔ تو پتہ اوس قریشن اندر بہتھ ونان کہ محمد صلی
اللہ علیہ و سلم چھُہ توہہ ونان عاد و ثمودن ہند قصہ ولو بہ بُوزہ ناووہ رُستم اِسفندیار بیہ عجمی پادشہن ہند
قصہ۔ بعضے لوکھ آسِ دلچسپی سان تم قصہ بُوزان۔ بیہ اس ام مثل ہژمژ اکھ گیون واجن کنیز اہ۔ تو پتہ یلہ
ڈچھان اُوس کانسہ شخص اسلامُس کن مائل سپدان اَتی اُوس امِس کنیزہ تس نش سوزان۔ تس کنیزہ
اوس ونان زہ کھیاون چاوُن یہ شخص بیہ بوزہ ناوُن پنُن گیون تو پتہ اوس تس شخص ونان وچھان چھکھ
حال۔ ژہ ونتہ یتھ چھا لطف کنہ تتھ یتھ کُن محمد صلی اللہ علیہ و سلم لوکن نادِدوان چھُہ۔ تم چھ ونان نماز
پرِو، روزہ دار روزو، زوژتُو دیٔس پتھ چنانچہ اَتھ پیٹھ سپدیم آیاتِ کریمہ نازل یمن آیاتِ کرٕ تمن منز
چھُہ اللہ تعالیٰ ذکر کران تمن شقین ہنز حالتھ یم پننہ جہالت و شقاوتہ مُوکھہ قرآنِ کریمہ نِشہ اعراض
کرتھ نژن گیون لہو و لعب تماشہ و چھن یا بیہ واہیات و خرافات بُوزنس منز مستغرق آسِ تم چھ کوشش
کران کہ بین لوکن تہ ڈالن یمنی کامین سیتِ مشغول کرتھ خدایہ سندہ دِینہ نِشہِ دِینہ چن کھن پیٹھ چھ
ٹھٹھہ تہ مذاق کران حضرت حسن بصری چھِہ فرماوان لہوالحدیثس متعلق کہ یُس چیز ژہِ ڈالی خدایہ سندہ
عبادتہ نِشہِ مثلاً قصہ ونن یا بوزن ٹھٹھہ مسخری کرن گیون تہ باجہ بوزن یہ سورے گوو داخل لہوالحدیثس
منز شانِ نزول یمہِ آیہ کریمک اگرچہ خاص چھ مگر حکم چھ عام۔ یُس لہو و لعب یا یُوسہ کام دین
اسلامہ نشہ یا احکام اسلامو نشہ پتھ رٹنک باعثِ سپدہ سُہ چھُہ حرام اِنَّ الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ
لَہُمۡ جَنّٰتُ النَّعِیۡمِ بے شک یمو لوکو ایمان اون تہ رژہ عملہ کریکھ تہندہ خاطرہ چھ نعمژن ہندِ جنت
خٰلِدِیۡنَ فِیۡہَا تمنے جنتن منز روزن ہمیشہ۔ وَعۡدَ اللّٰہِ حَقًّا یہ چھُہ خدایہ سُند پوز وعداہ

وَهُوَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ ﴿٩﴾ خَلَقَ السَّمَاوَاتِ بِغَيْرِ عَمَدٍ تَرَوْنَهَا وَأَلْقَىٰ فِي الْأَرْضِ رَوَاسِيَ أَنْ تَمِيدَ بِكُمْ وَبَثَّ فِيهَا مِنْ كُلِّ دَابَّةٍ ۚ وَأَنْزَلْنَا مِنَ السَّمَاءِ مَاءً فَأَنْبَتْنَا فِيهَا مِنْ كُلِّ زَوْجٍ كَرِيمٍ ﴿١٠﴾ هَٰذَا خَلْقُ اللَّهِ فَأَرُونِي مَاذَا خَلَقَ الَّذِينَ مِنْ دُونِهِ ۚ بَلِ الظَّالِمُونَ فِي ضَلَالٍ مُبِينٍ ﴿١١﴾ وَلَقَدْ آتَيْنَا لُقْمَانَ الْحِكْمَةَ أَنِ اشْكُرْ لِلَّهِ ۚ وَمَنْ يَشْكُرْ فَإِنَّمَا يَشْكُرُ لِنَفْسِهِ ۖ وَمَنْ كَفَرَ فَإِنَّ اللَّهَ غَنِيٌّ

---

وَهُوَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ سُہ چھُہ غالب تہٕ حکمتہٕ ڈول خَلَقَ السَّمَاوَاتِ بِغَيْرِ عَمَدٍ تَرَوْنَهَا تمی پروردگارن کرٕ پیدہ آسمان تھمو ورای۔ یُس تُہہٕ تہٕ وچھان چھوہ وَأَلْقَىٰ فِي الْأَرْضِ رَوَاسِيَ أَنْ تَمِيدَ بِكُمْ بیہ تھوتمِ زمینس پیٹھ بڈبڈ کوہ لنگرہی یتھہٕ سوٗ زمین توہہٕ لوکن ہیتھ یوٗن کٔن نمہٕ ووتل بجہ کرہ۔ وَبَثَّ فِيهَا مِنْ كُلِّ دَابَّةٍ بیہ تراوِن چھکرِت اَتھ زمینس منز پریتھ قسمک جانور وَأَنْزَلْنَا مِنَ السَّمَاءِ مَاءً فَأَنْبَتْنَا فِيهَا مِنْ كُلِّ زَوْجٍ كَرِيمٍ بیہ کوراَسہِ نازل آسمانکہ طرفہ رود توپتہٕ کھار اَسہِ تمہِ زمینہ منزہ پریتھ قسمک نباتات جورہ جورہ۔ رتِ رتِ چیز هَٰذَا خَلْقُ اللَّهِ فَأَرُونِي مَاذَا خَلَقَ الَّذِينَ مِنْ دُونِهِ تہٕ فرماویوکھ اے لوکو یہ گیہ خدایہ سنز پیدائیش۔ پس ہاو توٗ تُہہٕ مہ خدایس ورای یم معبودانِ باطِل تُہہٕ مُقرر کران چھُوکھ تمو کیاہ کور پیدہ تاانیکہ بوٗزنہ اِیہ ہا تہنز کیازہ گژھہ پرستش کرنِ بَلِ الظَّالِمُونَ فِي ضَلَالٍ مُبِينٍ بلکہ چھہ ظالم ننہِ گمراہی اَندر مُبتلا وَلَقَدْ آتَيْنَا لُقْمَانَ الْحِكْمَةَ أَنِ اشْكُرْ لِلَّهِ وَمَنْ يَشْكُرْ فَإِنَّمَا يَشْكُرُ لِنَفْسِهِ وَمَنْ كَفَرَ فَإِنَّ اللَّهَ غَنِيٌّ حَمِيدٌ بیہ کوراَسہِ عطا لقمٰن علیہ السلامس گاٹہ جار۔ سُہ گوٗو علم و عمل توپتہٕ فرمووس اَسہِ کہ شُکر دَپ خدایس تہنزن سارِنے نعمژن پیٹھ خصوصاً تمس پیٹھ یُوسہ بڈ نعمت چھہ کیازہ یُس خدایہ سنز شُکر گذاری چھُہ کران تس چھُہ تمیُک فائدہ پنہٕ نِس پانس۔ یعنی نعمتس اندر زیادتی سپدَن یُس کفرانِ نعمت چھُہ کران سُہ چھُہ پنہٕ نُے نقصان کران۔ پس بے شک اللہ تعالیٰ چھُہ بے نیاز سُہ چھُنہٕ۔ محتاج کانسہِ ہنزہ شُکر گذاری ہُنٛ۔ سُہ چھُہ حمد دِپنہٕ آمُت۔ چُونکہ

حَمِيدٌ ﴿١٢﴾ وَإِذْ قَالَ لُقْمَانُ لِابْنِهِ وَهُوَ يَعِظُهُ يَا بُنَيَّ لَا تُشْرِكْ بِاللَّهِ ۖ إِنَّ الشِّرْكَ لَظُلْمٌ عَظِيمٌ ﴿١٣﴾ وَوَصَّيْنَا الْإِنسَانَ بِوَالِدَيْهِ حَمَلَتْهُ أُمُّهُ وَهْنًا عَلَىٰ وَهْنٍ وَفِصَالُهُ فِي عَامَيْنِ أَنِ اشْكُرْ لِي وَلِوَالِدَيْكَ إِلَيَّ الْمَصِيرُ ﴿١٤﴾ وَإِن جَاهَدَاكَ عَلَىٰ أَن تُشْرِكَ بِي مَا لَيْسَ لَكَ

---

لقمان علیہ السلامس آیہ حکمت عطا کرنہ پَس سپدُ ثابت کہ تمِ چھہ حکیم تہ دانا۔ یتھس حکیمہ سنز تعلیم چھہ قابل عمل۔ لہذا اکرو بیان تِہنز و تعلیما تو اندرہ کینہہ وَإِذْ قَالَ لُقْمَانُ لِابْنِهِ وَهُوَ يَعِظُهُ يَا بُنَيَّ لَا تُشْرِكْ بِاللَّهِ ۖ إِنَّ الشِّرْكَ لَظُلْمٌ عَظِيمٌ بیہ یلہ لقمان علیہ السلامَن پنہ نِس نچوس وعظ و نصیحت کران دُوپ گوبُرا کتھ چھہ یہَے کہ شریک ٹھہراوزنہ معبُودِ برحقس کُنہ قسمہ پزپاٹھ تَس شریک ٹھہراوُن چھہ بُوڈ ظلم وَوَصَّيْنَا الْإِنسَانَ بِوَالِدَيْهِ بیہ کوراَسہِ تاکیدی حُکم اِنسانس مالس ماجہ ہندہ حقہ کہ پریتھ حالَس اندر گژھہ تِہنُد اَدب تہ رعایت ملحوظ تھاوُن۔ کیازہ تموچھُہ امِس بچہ سندِہ خاطرہ واریاہ مشقت تہِ تکلیف تُلمت خصوصاً ماجہ چنانچہ حَمَلَتْهُ أُمُّهُ وَهْنًا عَلَىٰ وَهْنٍ وَفِصَالُهُ فِي عَامَيْنِ تُل یہِ اِنسان تم سنزہ ماجہ پننہِ یڈ منز۔ ضعفس پیٹھ ضعف تہ تکلیفس پیٹھ تکلیف برداشت کرِ تھ نَون ریتن۔ اکھ اوُس یڈ منز تُلُنگ تکلیف تو پتہ پریسنک تکلیف، دود چاوُنک تلنہ تراوُنک تکلیف۔ رالتس دوہس پنُن آرام تہ آسایش راوہ ران امِس للہ وان تہ سُلہ وان تو پتہ چھہ امس بچہ سندہ دود ژٹہ نُک مدت دون ورَین تام یمن دون ورَین تہِ چھہ یہ مُوج امِس بچس مشفقانہ خدمت کران یتھ مالِ سُند تہ چھہ آسان اِشتراکِ عمل۔ موج چھس کوچھہ منزہ تراوان تہ مول چھس تلان۔ مُول چھُس تراوان تہ موج چھَس تُلان یم دوہ شوے چھِس لولہ متہ لاے کران۔ اَمی موکھ کوراَسہِ پنہ نین حقوقن سیتِ مالس ماجہ ہند حق اداکرنُک حُکم امِس انسانس پیٹھ أَنِ اشْكُرْ لِي وَلِوَالِدَيْكَ میہ فرمووامِس انسانس کہ کرژِہ شُکر گذاری۔ اکھ میانِ بیہ کرزِہ یہ شکر گذاری پنہ نس مالسِ ماجہ ہنز اللہ تعالے سنز شکر گزاری گیہ عبادت واطاعتہ سیت مالسِ ماجہ ہنز شگر گزاری گیہ خدمتہ سیتِ بیہ تِہندِ حقوق اداکرنہ سیتِ إِلَيَّ الْمَصِيرُ پتو لاکہ چھُوے نِش واتن تمہِ ساتہ یُتھ ووُمُت آسیتھ تُیتھ لونکھ باوجود اینکہِ مالسِ ماجہ ہُند حق چھُہ سیٹھاہ بوڈ مگر توحید ک

بِهٖ عِلْمٌ فَلَا تُطِعْهُمَا وَصَاحِبْهُمَا فِي الدُّنْيَا مَعْرُوْفًا ؗ وَّاتَّبِعْ
سَبِيْلَ مَنْ اَنَابَ اِلَيَّ ۚ ثُمَّ اِلَيَّ مَرْجِعُكُمْ فَاُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ
تَعْمَلُوْنَ ﴿۱۵﴾ يٰبُنَيَّ اِنَّهَآ اِنْ تَكُ مِثْقَالَ حَبَّةٍ مِّنْ خَرْدَلٍ
فَتَكُنْ فِيْ صَخْرَةٍ اَوْ فِي السَّمٰوٰتِ اَوْ فِي الْاَرْضِ يَاْتِ بِهَا
اللّٰهُ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَطِيْفٌ خَبِيْرٌ ﴿۱۶﴾ يٰبُنَيَّ اَقِمِ الصَّلٰوةَ وَاْمُرْ
بِالْمَعْرُوْفِ وَانْهَ عَنِ الْمُنْكَرِ وَاصْبِرْ عَلٰى مَآ اَصَابَكَ ؕ

---

مسلہ چھُو تیتھ عظیم الشان کہ وَاِنْ جٰهَدٰكَ عَلٰٓى اَنْ تُشْرِكَ بِيْ مَا لَيْسَ لَكَ بِهٖ عِلْمٌ فَلَا تُطِعْهُمَا ہرگاہ
تم دو شوے یا تمو اندرہ اکھ مجبور کرنےٚ مِہ شریک ٹھہراوُنس پیٹھ سُہ چیز ییٚمچ نہ ژٕہ خبرے آسی سُہ کٔتھ
مانِ زِہ نہ ژِہ کینہہ ہرگز وَصَاحِبْهُمَا فِي الدُّنْيَا مَعْرُوْفًا یہ کتھ چھہ ضروری کہ دُنیاکین ضروریاتن اندر
روزِہ ژٕہ تِمن سیت رتہ طریقہ وَّاتَّبِعْ سَبِيْلَ مَنْ اَنَابَ اِلَيَّ دِینہ کِس معاملس اندر پکھ ژٕہ تَس شخصہ
سنزہ وتہِ یُس مِہ کُن رجوع کرہ وُن آسہِ یعنی میانین احکامَن پیٹھ عمل کرہ وُن آسہِ۔ ثُمَّ اِلَيَّ مَرْجِعُكُمْ
فَاُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ توپتہ چھُوہ توہہِ سارنے کامین کُن رجوع کرُن۔ بو کروہ توہہ سارنے خبر
تمن سارنے کائین ہنز یمہ تُہہ کران آسوہ۔ لہٰذا امہ کرِو تُہہ میانس حُکمس خلاف امہ پتہِ چھہ بیان
کران۔ بیہ لقمان حکیمؒ یعنی لقمان صابن فرموو پنہ نس فرزندس يٰبُنَيَّ اِنَّهَآ اِنْ تَكُ مِثْقَالَ حَبَّةٍ مِّنْ
خَرْدَلٍ فَتَكُنْ فِيْ صَخْرَةٍ اَوْ فِي السَّمٰوٰتِ اَوْ فِي الْاَرْضِ يَاْتِ بِهَا اللّٰهُ اِنَّ اللّٰهَ لَطِيْفٌ خَبِيْرٌ اے
میانہ فرزندہ اللہ تعالیٰ سند علمِ تہ قدرت چھہ تیوت کہ اگر کانسہِ ہنز عمل آسہِ آسر دانس برابر مقدارہ
کِن سوی آسہِ کنہ بڈس پلس منز کھٹتھ تھاونہ آمژ نتہ آسہِ آسمانن اندر لوکن نِشہِ دور کُنہِ جایہ یا آسہِ زمینس
منزِ تل پاتال یُوت نہ کانہہ تہ واتتھ ہیکہ مگر خدایہ سُند شان چُھہ کہ تمو ساروے پُوشیدہ جایو منزہ
کڈِتھ انہ سُہ قیامتک دوہ حسابچہ وقتہ امی اندرہ چھہ سپدان تم سند کمالِ علم تہ کمالِ قدرت ثابت بیشک
اللہ تعالیٰ چھہ سیٹھاہ بوڈ باریک بین سارچی خبر تھاوہ وُن۔ تَس چھہ پور خبر کُس چیز کتہ نس چھہ۔ يٰبُنَيَّ

إِنَّ ذَٰلِكَ مِنْ عَزْمِ الْأُمُورِ ﴿١٧﴾ وَلَا تُصَعِّرْ خَدَّكَ لِلنَّاسِ وَلَا تَمْشِ فِي الْأَرْضِ مَرَحًا ۖ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ كُلَّ مُخْتَالٍ فَخُورٍ ﴿١٨﴾ وَاقْصِدْ فِي مَشْيِكَ وَاغْضُضْ مِن صَوْتِكَ ۚ إِنَّ أَنكَرَ الْأَصْوَاتِ لَصَوْتُ الْحَمِيرِ ﴿١٩﴾ أَلَمْ تَرَوْا أَنَّ اللَّهَ سَخَّرَ لَكُم مَّا فِي السَّمَاوَاتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ وَأَسْبَغَ عَلَيْكُمْ نِعَمَهُ ظَاهِرَةً وَبَاطِنَةً ۗ وَمِنَ النَّاسِ

---

أَقِمِ الصَّلَاةَ وَأْمُرْ بِالْمَعْرُوفِ وَانْهَ عَنِ الْمُنكَرِ وَاصْبِرْ عَلَىٰ مَا أَصَابَكَ ۖ إِنَّ ذَٰلِكَ مِنْ عَزْمِ الْأُمُورِ عملن متعلق فرمووُنس یہ نصیحت کہ اے میانہ فرزندہ نماز تھاو برپا۔ نماز چھہ اعلیٰ درجچ عمل بیہ آس رٹن کامین ہند اَمر کران بین لوکن تہ بیہ آس یچھ کامیو نشہِ لوکن منع کران۔ اتھ منزٕ یُس تکلیفاہ تہ مصیبتاہ واتِ پریتھ مُصیبتس پیٹھ آس صبر کران۔ بڑ پاٹھ یہ صبر کرن چھہ ہمتہ چو کامیو اندرہ۔ وَلَا تُصَعِّرْ خَدَّكَ لِلنَّاسِ اخلاق وعاداتن اندر فرموو تَس بیہ مہ آس لوکن نشہِ بُتھ پُھِر پھران تکبرہ سببہ وَلَا تَمْشِ فِي الْأَرْضِ مَرَحًا بیہ مہ آس زمینہ پیٹھ پکان ڈالہ ماران تمہِ غرورو تکبرہ سان کیازہ إِنَّ اللَّهَ لَا يُحِبُّ كُلَّ مُخْتَالٍ فَخُورٍ بے شک اللہ تعالیٰ چھُنہ پسند کران کانسہِ مغرورس یُس تھیکان آسہ وَاقْصِدْ فِي مَشْيِكَ وَاغْضُضْ مِن صَوْتِكَ بیہ آس میانہ رَوی کران پنہ نِس پکنس اندر تہ مہ آس دور تلتھ پکان تہِ چھہُ اکھ وقارس خِلاف بیہ چھہ تتھ اندر دَب لگنک خطرہ نہ مہ آس تولِ تولِ پکان یہ چھہ مُتکبرن ہنز چال۔ بیہ کر پست آواز پنن کریکھ مہ آس لاگان۔ إِنَّ أَنكَرَ الْأَصْوَاتِ لَصَوْتُ الْحَمِيرِ بڑ پاٹھ آواز اندرہ چھہ یچھ آواز کھرہ سنز آواز۔ یتھ اندر نہ کانہہ فائدہ چھہ۔ لہٰذا انسان آستھ مہ بَن کھر حضرتِ عکرمہ تہ حضرتِ لیث چھہ فرماوان کہ لقمان علیہ السلام آسِ نبی۔ مگر حکیم ترمذی چھہِ نوادرس منز مرفوع اکھ حدیثِ شریفاہ پیش کران کہ لقمان علیہ السلامَس آئے یہ خلافت پیش کرنہ داوٗد علیہ السلامس برونٹھ مگر تمو دُوپ ہر گاہ حُکم چھُم تیلہ چھُم منظور بسر و چشم۔ ہر گاہ میانہ مرضی مُوجب چھہ تیلہ چھُس بہ معافی منگان چنانچہ پتہ آیہ سَہ خلافت عطا کرنہ چنانچہ یہ روایت چھہ دُرِ منثورس اندر۔ اکثر علماء چھہ فرماوان کہ حضرتِ لقمان چھہ آسمتِ حبشکِ رُوزن وال أَلَمْ تَرَوْا أَنَّ اللَّهَ سَخَّرَ لَكُم مَّا فِي السَّمَاوَاتِ وَمَا فِي الْأَرْضِ وَأَسْبَغَ

مَنْ يُّجَادِلُ فِي اللّٰهِ بِغَيْرِ عِلْمٍ وَّلَا هُدًى وَّلَا كِتٰبٍ مُّنِيْرٍ ﴿٢٠﴾ وَ اِذَا قِيْلَ لَهُمُ اتَّبِعُوْا مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ قَالُوْا بَلْ نَتَّبِعُ مَا وَجَدْنَا عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا ؕ اَوَلَوْ كَانَ الشَّيْطٰنُ يَدْعُوْهُمْ اِلٰى عَذَابِ السَّعِيْرِ ﴿٢١﴾ وَمَنْ يُّسْلِمْ وَجْهَهٗۤ اِلَى اللّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ فَقَدِ اسْتَمْسَكَ بِالْعُرْوَةِ الْوُثْقٰى ؕ وَاِلَى اللّٰهِ عَاقِبَةُ الْاُمُوْرِ ﴿٢٢﴾ وَمَنْ كَفَرَ فَلَا يَحْزُنْكَ كُفْرُهٗ ؕ اِلَيْنَا مَرْجِعُهُمْ فَنُنَبِّئُهُمْ بِمَا عَمِلُوْا ؕ اِنَّ اللّٰهَ

---

عَلَيْكُمْ نِعَمَهٗ ظَاهِرَةً وَّبَاطِنَةً كياه توهه ڇهوه نا مشاهده سيت ته دليلو سيت يه ڪٿهه معلوم که اے الله تعالیٰ ان ڇهه بواسطه يا بلاواسطه کامه لاگمتِ مسخر ته رام کرمتِ تهنده فائده خاطره تم ساري چيزيم آسمانن بيه زمينن منز ڇهه۔ بيه کرين پنه نعمژ پوره توهه پيٹھ۔ ظاهري ننه نعمژ ته۔ تمه نعمژ يمه ظاهري حواسو سيت ژينه يوان ڇهه باطني ته پوشيده نعمژ ته يمه نعمژ عقله سيتِ ژينه يوان ڇهه۔ وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يُّجَادِلُ فِي اللّٰهِ بِغَيْرِ عِلْمٍ وَّلَا هُدًى وَّلَا كِتٰبٍ مُّنِيْرٍ باوجودِ آل ڇهه لوکو اندره بعضي تم لوکه يم بحث ته جگڑه ڇهه لاگان خدايه سندِ س کُن آسنه کس معاملس اندر علمه ورائے واقفيه ورائے ته کُنه دليله ورائے بيه کُنهِ روشن کتابه هنده حواله ورائے۔ وَاِذَا قِيْلَ لَهُمُ اتَّبِعُوْا مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ قَالُوْا بَلْ نَتَّبِعُ مَا وَجَدْنَا عَلَيْهِ اٰبَآءَنَا تو پته يله وننه يوان ڇهه تمن پيروي کرِو تتھ حکمس يُس الله تعالیٰ ان نازل کوردپان ڇهه نه بلکه کرَواس پيروي تتھ طريقس يتھ پيٹھ اسهِ پنن مالِ بڈبب عمل کران ڈچهه اَوَلَوْ كَانَ الشَّيْطٰنُ يَدْعُوْهُمْ اِلٰى عَذَابِ السَّعِيْرِ کيا هر گاه تهندين مالين بُڈبَن شيطان نادِ دوان اوس تتھ گمراهي کُن يُس ناره کس عذابس موجب اوس تو ته کرن نه تم تهنز پيروي وَمَنْ يُّسْلِمْ وَجْهَهٗۤ اِلَى اللّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ فَقَدِ اسْتَمْسَكَ بِالْعُرْوَةِ الْوُثْقٰى وَاِلَى اللّٰهِ عَاقِبَةُ الْاُمُوْرِ بيه يُس اکهاه پزيوک اتباع کرتھ پُشر اوه پنن پان معبودِ برحقس يتھ حالس منز که سُه آسهِ رژه کامه کره ڈن اده تمي کر تهچھ مُحکم رزِه۔ تمي کر زوره تهپ مضبوط هانکلهِ۔ پتو لا که ڇهه سارے کامه ته سارنے کامين هند انجام خدايه سے نشهِ واتُن وول۔ وَمَنْ كَفَرَ فَلَا يَحْزُنْكَ

عَلِيمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُورِ ﴿٢٣﴾ نُمَتِّعُهُمْ قَلِيلًا ثُمَّ نَضْطَرُّهُمْ إِلَىٰ
عَذَابٍ غَلِيظٍ ﴿٢٤﴾ وَلَئِن سَأَلْتَهُم مَّنْ خَلَقَ السَّمَٰوَٰتِ وَالْأَرْضَ
لَيَقُولُنَّ اللَّهُ ۚ قُلِ الْحَمْدُ لِلَّهِ ۚ بَلْ أَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُونَ ﴿٢٥﴾ لِلَّهِ مَا
فِي السَّمَٰوَٰتِ وَالْأَرْضِ ۚ إِنَّ اللَّهَ هُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيدُ ﴿٢٦﴾ وَلَوْ أَنَّمَا
فِي الْأَرْضِ مِن شَجَرَةٍ أَقْلَامٌ وَالْبَحْرُ يَمُدُّهُۥ مِنۢ بَعْدِهِۦ

---

كُفْرُهُ إِلَيْنَا مَرْجِعُهُمْ فَنُنَبِّئُهُم بِمَا عَمِلُوا إِنَّ اللَّهَ عَلِيمٌۢ بِذَاتِ الصُّدُورِ بیہ یم شخص باوجود ایں
وضاحت کُفر تہٕ اِنکارے کور تھند کُفر تہٕ اِنکار مہ حض کرِن توہہ غم گین تہٕ آزردہ اسیِ نشہٕ چھ واتُن
رجوع کرن تمن سارِنے۔ اس کرو کھ خبردار تمِ تمو ساروے کامیو سیتِ یمہِ تم دنیاہس منز کران
آس۔ بے شک اللہ تعالیٰ چھُ پورزانان تمہ سارے کتھہ یمہ دِلن منز کھٹتھ تہٕ پُوشیدہ چھہ باقی کامین ہنز
چھنہ کتھے۔ نُمَتِّعُهُمْ قَلِيلًا ثُمَّ نَضْطَرُّهُمْ إِلَىٰ عَذَابٍ غَلِيظٍ تمتع تلناوو کھ اس تم دنیاءس منز کم کینہہ
کالاہ تو پتہٕ واتناوو کھ اس تم جبرا سخت عذابس اندر یمہ منزہ نہ تم نیر تھے ہیکن۔ یتھ توحیدس گن اس
تمن نادوان چھہ تمہِ چن ابتدائی بعض کتھن چھہِ تمِ تہٕ پانہ تسلیم کران چنانچہ وَلَئِن سَأَلْتَهُم مَّنْ خَلَقَ
السَّمَٰوَٰتِ وَالْأَرْضَ لَيَقُولُنَّ اللَّهُ ہرگاہ تُہہ یارسول اللہ تمن پرژھو آسمان تہٕ زمین کم کُورپادہ ضرورونن کہ
اللہ تعالیٰ ان کُورپادہ قُلِ الْحَمْدُ لِلَّهِ تُہہ دپو حُمد بُومنِ خدائس کہِ یہ کتھ چھوہ توہہ فکرِہ تران۔ یُوسہِ کتھ
زیادہ ضروری اس سو سپز تھندی اقرارہ سیت ثابت دویم کتھ یُوسہ اَتھ سیتِ لازم آس کہ یُس چیز
مخلوق تہٕ پادہ کرنہ آمت آسہِ سُہ ہیکیا معبود آستھِ۔ یہ چھوہ نہ تگان زانن بیہ چھوہ نہ تران فکرِہ بَلْ
أَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُونَ مگر تمو اندرہ چھہِ اکثر لوکھ تمن نہ ایژہن تہٕ زانن تگان چھہ خدایہ سُند شان چھہ یہ
کہ لِلَّهِ مَا فِي السَّمَٰوَٰتِ وَالْأَرْضِ إِنَّ اللَّهَ هُوَ الْغَنِيُّ الْحَمِيدُ خدایہ سُند چھہ تہٕ سُورے یہ آسمانن تہٕ زمین
منز چھہ۔ بے شک اللہ تعالیٰ چھُ بذاتِ خود تہٕ بے نیاز۔ سارِنے تعریفن سزاوار۔ سُی چھُ سزاوار
الوہیّت۔ تمسنز خوبیہ تہٕ تعریف چھہِ تیت کہِ وَلَوْ أَنَّمَا فِي الْأَرْضِ مِن شَجَرَةٍ أَقْلَامٌ وَالْبَحْرُ يَمُدُّهُۥ مِنۢ

سَبْعَةُ اَبْحُرٍ مَّا نَفِدَتْ كَلِمٰتُ اللّٰهِ ؕ اِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ ﴿۲۷﴾ مَا خَلْقُكُمْ وَلَا بَعْثُكُمْ اِلَّا كَنَفْسٍ وَّاحِدَةٍ ؕ اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌۢ بَصِيْرٌ ﴿۲۸﴾ اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ يُوْلِجُ الَّيْلَ فِى النَّهَارِ وَيُوْلِجُ النَّهَارَ فِى الَّيْلِ وَسَخَّرَ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ ۖ كُلٌّ يَّجْرِىْۤ اِلٰۤى اَجَلٍ مُّسَمًّى وَّاَنَّ اللّٰهَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ ﴿۲۹﴾ ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْحَقُّ وَاَنَّ مَا يَدْعُوْنَ

---

بعدِ ہٕ سَبْعَةُ اَبْحُرٍ مَّا نَفِدَتْ كَلِمٰتُ اللّٰهِ اِنَّ اللّٰهَ عَزِيْزٌ حَكِيْمٌ بیہ ہرگاہ تمن سارنے کلین یم تمام روی زمینس پیٹھ چھِ تمن ین بناونہ قلم سونبِ حصہٕ توپتہٕ آسہٕ سمندر میل لیکھنہ خاطرہ سیاہی اکہ سمندرہ پتہٕ ستہ وے سمندر تموے قلمو سیتِ تہٕ تمی میلہ سیت ین لیکھنہ اللہ تعالیٰ سندِ کلمات یعنی تمہ کتھ یمو سیت تہندِ کمالات ین پھرنہ۔ یم ساری قلم تہٕ یہ سارے میل گژھہ ختم مگر تمہ کتھ گژھن نہ ختم یمو سیت تمِ کمالات بیان ین کرنہ بیشک اللہ تعالیٰ چھِ غالب سیٹھاہ حکمتہ وول۔ سُہ چھ قدرتس اندر تہٕ کامل علمس اندر تہٕ کامل۔ تہنزے قدرت گیہ کہ سارنے کرہِ بیہ پادہ یتھ نافہم لوکھ دشوار زانان چھہ حالانکہ مَا خَلْقُكُمْ وَلَا بَعْثُكُمْ اِلَّا كَنَفْسٍ وَّاحِدَةٍ اے لوکو توہہ سارنے ہند گوڈہ پادہ کرن بیہِ مرت دوبارہ زندہ کرن چھُنہ خدایس نِشہِ مگر تیتھے یتھ اکس شخصہ سند ہیو پادہ کرُن چھُ اِنَّ اللّٰهَ سَمِيْعٌۢ بَصِيْرٌ بے شک اللہ تعالیٰ چھُ سورے بوزہ وُن سُورے وُچھِ وُن سہ دِیہ مَرنہ پتہٕ بیہ زندہ گژھنہ کین مُنکرن ضرور سزا۔ اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰهَ يُوْلِجُ الَّيْلَ فِى النَّهَارِ وَيُوْلِجُ النَّهَارَ فِى الَّيْلِ وَسَخَّرَ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ كُلٌّ يَّجْرِىْۤ اِلٰۤى اَجَلٍ مُّسَمًّى وَّاَنَّ اللّٰهَ بِمَا تَعْمَلُوْنَ خَبِيْرٌ کیاہ وچھان چھکھناژہ اے وچھ ونہ کیتھ قُدرتہٕ وُول چھُ سُہ۔ سُوی چھُ راژ ہندس اکس حِصّس دوہہ کِس حِصّس منزواتہ ناوان بیہ دوہ کِس حصّس راژ ہندس حصّس منز واتناوان بیہ تھاوتمی آفتاب تہٕ زون کامہِ اندر لاگتھ۔ تمو دویو اندرہ چھُ پریتھ اَکھاہ پکان تتھ وقتس تانِ یُس تہندِ ہ خاطرہ مُقرر کرنہ آمُت چھُ۔ یعنی قیامتس تان۔ بیہ چھُونا توہہِ معلوم کہ اللہ تعالیٰ چھُ تہٕ سورُے زانان یہ تُہہ کران چھوہ توہہ چھا گُمان زہ تہنزہ شرکچہ کامہِ کیا آسَن تس نِشہِ پُوشیدہ۔ سُہ کیا دِیہ نہ

مِنْ دُوْنِهِ الْبَاطِلُ ۙ وَاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْعَلِيُّ الْكَبِيْرُ ﴿٣٠﴾ اَلَمْ تَرَ اَنَّ الْفُلْكَ تَجْرِيْ فِي الْبَحْرِ بِنِعْمَتِ اللّٰهِ لِيُرِيَكُمْ مِّنْ اٰيٰتِهٖ ؕ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّكُلِّ صَبَّارٍ شَكُوْرٍ ﴿٣١﴾ وَاِذَا غَشِيَهُمْ مَّوْجٌ كَالظُّلَلِ دَعَوُا اللّٰهَ مُخْلِصِيْنَ لَهُ الدِّيْنَ ۚ فَلَمَّا نَجّٰىهُمْ اِلَى الْبَرِّ فَمِنْهُمْ مُّقْتَصِدٌ ؕ وَمَا يَجْحَدُ بِاٰيٰتِنَآ اِلَّا كُلُّ خَتَّارٍ كَفُوْرٍ ﴿٣٢﴾

---

توهيه اِها پيٺ سزا ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْحَقُّ وَاَنَّ مَا يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهِ الْبَاطِلُ وَاَنَّ اللّٰهَ هُوَ الْعَلِيُّ الْكَبِيْرُ يمه ڪٿ يعني آسمان پاده ڪرن دوه ته راتهه اکهه اکس منز واته ناوُن آفتاب ته زون ڪامِه لاگُن ڇهه خاص الله تعالیٰ سے يمه مُوکھ ڪه الله تعالیٰ اي ڇهه پننه هستي ته وجودس منز ڪامِل سے ڇهه واجب الوجود۔ لوکھ يمن چيزن هنز پرستش ڪران ڇهه تس وراے تمِ ڇهه باطِل۔ بيه ڇهه الله تعالیٰ اي عالي شان، ٿود ته بُوڎ۔ ٿهندِس ٿهزرس ته بجرس واته نه ڪهنے اَلَمْ تَرَ اَنَّ الْفُلْكَ تَجْرِيْ فِي الْبَحْرِ بِنِعْمَتِ اللّٰهِ ڪيا اي مخاطب ژه ڇهے نا توحيدچ يه دليل معلوم ڪه بے شک جهاز ته ناوه ڇهه پکان درياون اندر خدايه سندي فضله سيت لِيُرِيَكُمْ مِّنْ اٰيٰتِهٖ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّكُلِّ صَبَّارٍ شَكُوْرٍ يتهه سُه توهه هاوه پننهِ قدرتکِ نشانه پژ پاٹِ اَتهه منز ڇهه قدرتکِ۔ بڈ نشانه صبر ته شڪر ڪرهوَن سنده خاطره يعني باايمانن هندِه خاطره تِے ڇهه مُوجن هندِه ووٿهنڪهِ وقته صبر ڪران جهاز يا ناوَ بوڻهه لگنڪهِ وقته شُڪر ديان وَاِذَا غَشِيَهُمْ مَّوْجٌ كَالظُّلَلِ دَعَوُا اللّٰهَ مُخْلِصِيْنَ لَهُ الدِّيْنَ توپته يله تِمن ڪافرن سمندرک مُوج ٿود گهست سايهِ بانن هندِ پاڻهے ولنه يِوان ڇهُه تمهِ ساته ڇهِ منگان خدايس بندگي خالِص تهندي خاطره امانت اعتقاده فَلَمَّا نَجّٰىهُمْ اِلَى الْبَرِّ فَمِنْهُمْ مُّقْتَصِدٌ وَمَا يَجْحَدُ بِاٰيٰتِنَآ اِلَّا كُلُّ خَتَّارٍ كَفُوْرٍ تمهِ پته يله الله تعالیٰ تِمن نجات دِتهه بھڻس تل واتناوان ڇهِ تمو منزه ڇهه بعضے درميان حالتس پيٺ روز تهه خدايه سُند ياد ڪران۔ يعني شِرک تراوتهه توحيد اختيار ڪران مگر بعضے ڇهِ بالڪل سانين آياتن مشراوِ تهه سانين قُدرتهِ ڪين نشانن اِنڪار ڪران۔ مگر تِمے لوکھ يم غدار ته ڪُفرانِ نعمت ڪره ون ڇهِ يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اتَّقُوْا رَبَّكُمْ وَاخْشَوْا يَوْمًا

يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ اتَّقُوْا رَبَّكُمْ وَاخْشَوْا يَوْمًا لَّا يَجْزِيْ وَالِدٌ
عَنْ وَّلَدِهٖ ۡ وَلَا مَوْلُوْدٌ هُوَ جَازٍ عَنْ وَّالِدِهٖ شَيْـًٔا ؕ اِنَّ وَعْدَ
اللّٰهِ حَقٌّ فَلَا تَغُرَّنَّكُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا ۥ وَقفة وَلَا يَغُرَّنَّكُمْ بِاللّٰهِ
الْغَرُوْرُ ﴿۳۳﴾ اِنَّ اللّٰهَ عِنْدَهٗ عِلْمُ السَّاعَةِ ۚ وَيُنَزِّلُ الْغَيْثَ ۚ وَ
يَعْلَمُ مَا فِي الْاَرْحَامِ ؕ وَمَا تَدْرِيْ نَفْسٌ مَّاذَا تَكْسِبُ غَدًا ؕ
وَمَا تَدْرِيْ نَفْسٌۢ بِاَيِّ اَرْضٍ تَمُوْتُ ؕ اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌ خَبِيْرٌ ﴿۳۴﴾ ع

---

لَا يَجْزِيْ وَالِدٌ عَنْ وَّلَدِهٖ وَلَا مَوْلُوْدٌ هُوَ جَازٍ عَنْ وَّالِدِهٖ شَيْـًٔا اے لوکو کھوژو پروردگارس پنہ نِس پتھ روزو تھندِ ہ نافرمانی نِشہِ بیہ شرک وکُفر نِشہ بیہ کھوژو تتھ دوہَس یمہ دوہہ نہ کانہہ مُولاہ جواب ہیکہ دِ تھ۔ عذاب پتھ ہیکہ رٹتھ پنہ نِس پنچوسِ نِشہِ نہ ہیکہ کانہہ پنچواہ پتھ رٹتھ پنہ نس مالسِ نشہ کُنہ قسمک عذاب یہ دوہ چُھ یوہ ڈن ضرور۔ کیازہ اللہ تعالیٰ اَن چُھ امیک وعدہ کورمُت اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ پزپاٹھ اللہ تعالیٰ سند وعدہ چھُ حق تہ پوز ثوابس تہ عذابس متعلق فَلَا تَغُرَّنَّكُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا وَلَا يَغُرَّنَّكُمْ بِاللّٰهِ الْغَرُوْرُ پس یُتھنہ دھوکہ دِیہ توہہ دنیاء چ زندگی یتھ سیت مشغول روز تھ سپدِو غافل تمہ دوہہ نِشہِ بیہ یُتھنہ خدایہ سندہ حقہ توہہ دھوکہ دِیہ شیطان فریب باز تہ دھوکہ باز اِنَّ اللّٰهَ عِنْدَهٗ عِلْمُ السَّاعَةِ وَيُنَزِّلُ الْغَيْثَ وَيَعْلَمُ مَا فِي الْاَرْحَامِ وَمَا تَدْرِيْ نَفْسٌ مَّاذَا تَكْسِبُ غَدًا وَمَا تَدْرِيْ نَفْسٌ بِاَيِّ اَرْضٍ تَمُوْتُ اِنَّ اللّٰهَ عَلِيْمٌ خَبِيْرٌ بے شک اللہ تعالیٰ سے چھُ قیامژ خبر کہ سو گرسپدِ ہ واقع بیہ چھُ سُی رود تراوان بیہ چھُ تس خبر اسباب و آلاتن ہندہ واسطہ ورائے کیاہ چھُ زنانن ہنزن شکمن اندر کور چھا کنہ نچو بیہ چھنہ خبر کانسہ شخصس پگاہ گُو سہ کام کرہ بہ بیہ چھنہ خبر کانسہ شخصس کتھ جایہ منز مرہ کمہ وقتہ بے شک اللہ تعالیٰ چھُ سُورے زانہ ون تس چھُ سارنے چیزن ہنز پور خبر۔

## سُوْرَۃُ السَّجْدَۃِ

بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ○

الٓمّٓ ۚ ﴿۱﴾ تَنْزِیْلُ الْکِتٰبِ لَا رَیْبَ فِیْہِ مِنْ رَّبِّ الْعٰلَمِیْنَ ؕ ﴿۲﴾ اَمْ یَقُوْلُوْنَ افْتَرٰىہُ ۚ بَلْ ھُوَ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّکَ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّاۤ اَتٰىھُمْ مِّنْ نَّذِیْرٍ مِّنْ قَبْلِکَ لَعَلَّھُمْ یَھْتَدُوْنَ ﴿۳﴾ اَللّٰہُ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَیْنَھُمَا فِیْ سِتَّۃِ اَیَّامٍ ثُمَّ اسْتَوٰی عَلَی الْعَرْشِ ؕ مَا لَکُمْ مِّنْ دُوْنِہٖ مِنْ وَّلِیٍّ وَّلَا شَفِیْعٍ ؕ

---

الٓمّٓ تِم چھ حروفِ مُقطعات۔ یمن ہُند معنی زانہ پانہِ خدا تَنْزِیْلُ الْکِتٰبِ لَا رَیْبَ فِیْہِ مِنْ رَّبِّ الْعٰلَمِیْنَ یمہ کتابہ یعنی قرآنِ مجیدہ کِس نازل سپدنس منز چھنہ کانہہ شکھاہ یہے چھ نازِل سپدان رُب العالمینہ سندِہ طرفہ اَمْ یَقُوْلُوْنَ افْتَرٰىہُ کیاہ مُنکر چھاونان یہ چھ پانئے بلہ ٹھرووُمت حضرت محمدن صلی اللہ علیہ وسلم۔ یہِ تِہندوُن چھ بالکل غلط۔ یہ چھُنہ کانسہِ بنوومت بَلْ ھُوَ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّکَ لِتُنْذِرَ قَوْمًا مَّاۤ اَتٰىھُمْ مِّنْ نَّذِیْرٍ مِّنْ قَبْلِکَ لَعَلَّھُمْ یَھْتَدُوْنَ بلکہ چھ یہ کتاب پزِ پاٹھ تِہندس پروردگارہ سندِہ طرفہ نازل سپز مژِتھ تُہہ اَمہِ سیت بیم کروپروردگارہ سندہ عذابہ نشہ تِمن لوکن یمن کُن نہ تُوہہِ برونٹھ کانہہ پیغمبراہ بیم کرہ ڈن آمُت چھ دیوہ تم لوکھ راہِ راستس پیٹھ ین اَللّٰہُ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَیْنَھُمَا فِیْ سِتَّۃِ اَیَّامٍ ثُمَّ اسْتَوٰی عَلَی الْعَرْشِ اللہ تعالیٰ گوسُی ذاتِ پاک یم آسمان تہ زمین بیہ تم مخلوقات یم تِمن دون منز باگ چھِ پادہ کرشین دوہَن ہندِس مُدّتس اندر۔ تو پتہ سپد مستوی عرشس پیٹھ تِمہِ طریقہ یُس تِہندِس شانس سزاوار تہ لایق چھ مَا لَکُمْ مِّنْ دُوْنِہٖ مِنْ وَّلِیٍّ وَّلَا شَفِیْعٍ اَفَلَا تَتَذَکَّرُوْنَ سُہ چھ تیتھ بوڈ تہ عظیم الشان کہ تِہندِہ رَضا تہ اجازتہ ورائے چھُنہ تِہند

أَفَلَا تَتَذَكَّرُونَ ﴿٤﴾ يُدَبِّرُ الْأَمْرَ مِنَ السَّمَاءِ إِلَى الْأَرْضِ ثُمَّ
يَعْرُجُ إِلَيْهِ فِي يَوْمٍ كَانَ مِقْدَارُهُ أَلْفَ سَنَةٍ مِّمَّا تَعُدُّونَ ﴿٥﴾
ذَٰلِكَ عَالِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ الْعَزِيزُ الرَّحِيمُ ﴿٦﴾ الَّذِي أَحْسَنَ
كُلَّ شَيْءٍ خَلَقَهُ وَبَدَأَ خَلْقَ الْإِنسَانِ مِن طِينٍ ﴿٧﴾ ثُمَّ جَعَلَ
نَسْلَهُ مِن سُلَالَةٍ مِّن مَّاءٍ مَّهِينٍ ﴿٨﴾ ثُمَّ سَوَّاهُ وَنَفَخَ فِيهِ مِن
رُّوحِهِ وَجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْأَبْصَارَ وَالْأَفْئِدَةَ قَلِيلًا مَّا

---

ڪانه مددگار آهي نه ڪانه سفارش ڪرڻ وارو البته تنهن اجازت سان سڏجي شفاعت. مگر نصرت ۽ مدد سان متعلق آسان نه اجازت ٿيا. پس ڪونه ڇو نصيحت وٺو ته انهي ذاتِ پاڪ سان ڪوئي شريڪ آهي يُدَبِّرُ الْأَمْرَ مِنَ السَّمَاءِ إِلَى الْأَرْضِ ثُمَّ يَعْرُجُ إِلَيْهِ فِي يَوْمٍ كَانَ مِقْدَارُهُ أَلْفَ سَنَةٍ مِّمَّا تَعُدُّونَ سو خدا آهي جيڪو آسمان کان زمين تائين سڀ ڪم جو سڄي سرشتي ۾ تدبير ۽ انتظام ڪري ٿو. پوءِ اهي سڀ معاملا ۽ سڀ ڪم ان جي حضور ۾ پيش ڪيا ٿا وڃن هڪ اهڙي ڏينهن ۾ جنهن جو مقدار تنهن ڳڻپ موجب هڪ هزار ورهيه آهي يعني قيامت جو ڏينهن ذَٰلِكَ عَالِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ الْعَزِيزُ الرَّحِيمُ سو خدا آهي ڳجهي ۽ ظاهر کي ڄاڻندڙ آهي اهو ئي آهي سڀ کان غالب وڏو زبردست سڀ کان رحمت وارو الَّذِي أَحْسَنَ كُلَّ شَيْءٍ خَلَقَهُ وَبَدَأَ خَلْقَ الْإِنسَانِ مِن طِينٍ ۽ پروردگار سڀ ڪنهن شيءِ کي پيدا ڪيو ۽ بي مثل ابتداء انسان جي پيدائش مٽيءَ مان ڪئي ثُمَّ جَعَلَ نَسْلَهُ مِن سُلَالَةٍ مِّن مَّاءٍ مَّهِينٍ پوءِ ڪري ان جي نسل ۽ اولاد کي هلايو هڪ بي قدر ضعيف پاڻي جي قطري مان. ثُمَّ سَوَّاهُ وَنَفَخَ فِيهِ مِن رُّوحِهِ وَجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْأَبْصَارَ وَالْأَفْئِدَةَ قَلِيلًا مَّا تَشْكُرُونَ پوءِ ڪيو ان جي شڪل کي ٺهيل بدن برابر. پوءِ ان ۾ پنهنجو روح ڦوڪيو. پوءِ ڪيائين تنهن لاءِ ڪن ته ٻڌڻ لاءِ ۽ اکيون ڏسڻ لاءِ ۽ دل سمجهڻ لاءِ. اهي سڀ شيون تنهن جي ڪمال قدرت جو ثبوت آهن جن تي اسان کي شڪر گذاري ڪرڻ گهرجي مگر تون تمام ٿورو شڪر گذاري ڪريو ٿا وَقَالُوا أَإِذَا ضَلَلْنَا فِي

تَشْكُرُوْنَ ۝٩ وَقَالُوْٓا ءَاِذَا ضَلَلْنَا فِي الْاَرْضِ ءَاِنَّا لَفِيْ
خَلْقٍ جَدِيْدٍ ۬ؕ بَلْ هُمْ بِلِقَآءِ رَبِّهِمْ كٰفِرُوْنَ ۝١٠

قُلْ يَتَوَفّٰىكُمْ مَّلَكُ الْمَوْتِ الَّذِيْ وُكِّلَ بِكُمْ ثُمَّ اِلٰى رَبِّكُمْ
تُرْجَعُوْنَ ۝١١ وَلَوْ تَرٰٓى اِذِ الْمُجْرِمُوْنَ نَاكِسُوْا رُءُوْسِهِمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ ؕ
رَبَّنَآ اَبْصَرْنَا وَسَمِعْنَا فَارْجِعْنَا نَعْمَلْ صَالِحًا اِنَّا مُوْقِنُوْنَ ۝١٢ وَ
لَوْ شِئْنَا لَاٰتَيْنَا كُلَّ نَفْسٍ هُدٰىهَا وَلٰكِنْ حَقَّ الْقَوْلُ مِنِّيْ

---

الْاَرْضِ ءَاِنَّا لَفِيْ خَلْقٍ جَدِيْدٍ قیامتکِ مُنکر چھ وَنان کیاہ یلہِ اس میژِ ہ سیتِ میژ گژھو کیاہ اَسہِ
چھانو پادہ سپدُن بَلْ هُمْ بِلِقَآءِ رَبِّهِمْ كٰفِرُوْنَ یم چھنہ مرنہ پتہ بیہ زندہ سپدہ نَسے یُوت عجائب
زانان۔ بلکہ چھ یم پنہ نِس خدایس سیت ملاقات کرہ نَس تہ لتس برونٹھ کُن حاضر سپدنس تہ مُنکر قُلْ
يَتَوَفّٰىكُمْ مَّلَكُ الْمَوْتِ الَّذِيْ وُكِّلَ بِكُمْ ثُمَّ اِلٰى رَبِّكُمْ تُرْجَعُوْنَ تُہہ فرماویو کھ یا رسول اللہ توہہ چھُنہ
معدوم سپدُن بلکہ کڈہ تہندین روحن ملک الموت یُس خدایہ سندِہ طرفہ مُقرر کرنہ آمت چھُہ۔
تہند روح کڈنہ خاطرہ۔ تو پتہ ایو تُہہ واتناونہ پنہ نس پروردگارس نِشہِ سُہہ دیوہ عملن ہنز مزور۔ رژن
ہنز رژے تِچھن ہنز تِچھی وَلَوْ تَرٰٓى اِذِ الْمُجْرِمُوْنَ نَاكِسُوْا رُءُوْسِهِمْ عِنْدَ رَبِّهِمْ ہرگاہ تُہہ وچھو کھ یم
نافرمان کِتھ پاٹھے آسن قیامتکِ دوہ کلہ بُون کُن تراوتھ پنہ نس خدایس برونٹھ کنہ سخت شرمندگی اندر
تُہہ وچھو تہند عجیب حالاہ وَنان آس رَبَّنَآ اَبْصَرْنَا وَسَمِعْنَا فَارْجِعْنَا نَعْمَلْ صَالِحًا اِنَّا مُوْقِنُوْنَ ای
سانہ پروردگارہ اَسہِ وچھ تہِ یتھ اس اِنکار کران اِس بیہ بوز اَسہِ تہ سورے یتھ نہ اِس گُن تھاوان آسِ
سانہ اچھہ تہ کَن آئے مژروانہ معلوم سپد کہ یہ کنیژھاہ پیغمبر فرماوان آسِ تہ سُوری اُوس پوز پس سوز کھنا
ژہ اَسہِ بیہ دنیاءس کُن اس کرہ ہَووَنے تتہِ رژہ عملہ بیشک چھِ اس ووَنے پور یقین کرہ ون۔ مگر یہ
تہندِ ونن آسہِ تتہِ بالکل بیکار وَلَوْ شِئْنَا لَاٰتَيْنَا كُلَّ نَفْسٍ هُدٰىهَا ہرگاہ اَسہِ منظور آسہ ہا اس کرہ ہَو پر یتھ
شخصس ہدایت دنیاءس اندر ایمانس تہ رژن عملن کُن وَلٰكِنْ حَقَّ الْقَوْلُ مِنِّيْ لَاَمْلَئَنَّ جَهَنَّمَ مِنَ

لَاَمۡلَـَٔنَّ جَهَنَّمَ مِنَ الۡجِنَّةِ وَالنَّاسِ اَجۡمَعِيۡنَ ﴿۱۳﴾ فَذُوۡقُوۡا بِمَا
نَسِيۡتُمۡ لِقَآءَ يَوۡمِكُمۡ هٰذَا ۚ اِنَّا نَسِيۡنٰكُمۡ وَذُوۡقُوۡا عَذَابَ الۡخُلۡدِ بِمَا
كُنۡتُمۡ تَعۡمَلُوۡنَ ﴿۱۴﴾ اِنَّمَا يُؤۡمِنُ بِاٰيٰتِنَا الَّذِيۡنَ اِذَا ذُكِّرُوۡا بِهَا خَرُّوۡا
سُجَّدًا وَّسَبَّحُوۡا بِحَمۡدِ رَبِّهِمۡ وَهُمۡ لَا يَسۡتَكۡبِرُوۡنَ ﴿۱۵﴾ تَتَجَافٰى
جُنُوۡبُهُمۡ عَنِ الۡمَضَاجِعِ يَدۡعُوۡنَ رَبَّهُمۡ خَوۡفًا وَّطَمَعًا ۫ وَّمِمَّا
رَزَقۡنٰهُمۡ يُنۡفِقُوۡنَ ﴿۱۶﴾ فَلَا تَعۡلَمُ نَفۡسٌ مَّاۤ اُخۡفِىَ لَهُمۡ مِّنۡ قُرَّةِ

---

الۡجِنَّةِ وَالنَّاسِ اَجۡمَعِيۡنَ مگر میان کتھ چھہ ازلی تہٕ تقدیری یُس میہ ازلہ دوہہ واریہو حکمتو موجب محقق سپز مژ چھہ کہ ضرور برن تہٕ پُر کرن بو جہنم جنو تہٕ انسانو سیتِ۔ یم کافراس یکہ وٹہ۔ وون ییلہ تُہند دُنیاءس کُن گژھن ناممکن چھہ لہذا ییہ تمن وننہ فَذُوۡقُوۡا بِمَا نَسِيۡتُمۡ لِقَآءَ يَوۡمِكُمۡ هٰذَا ۚ اِنَّا نَسِيۡنٰكُمۡ وَذُوۡقُوۡا عَذَابَ الۡخُلۡدِ بِمَا كُنۡتُمۡ تَعۡمَلُوۡنَ وونِ ژہوتُہہ تمیک مزہ کہ توہہ اوسوِ ناپنن یتھ دوہس منز سمکھن مُشر وومُت اسہِ تہٕ مُشر اووہ تُہہ کیازِہ رحمتہ نِشہ کرووہ اس تُہہ محروم۔ وون ژہو ہمیشہ گی ہند عذاب کیازہ تُہہ آسوہ ناتڑہے کامہِ کران اِنَّمَا يُؤۡمِنُ بِاٰيٰتِنَا الَّذِيۡنَ اِذَا ذُكِّرُوۡا بِهَا خَرُّوۡا سُجَّدًا وَّسَبَّحُوۡا بِحَمۡدِ رَبِّهِمۡ وَهُمۡ لَا يَسۡتَكۡبِرُوۡنَ ایمان اَنن نہ سانین آیاتن مگر تمے لوکھ تمن یلہِ تمِ آیات ژیتس پاونہ چھہِ یوان وعظ و نصیحت چھُہ کرنہ یوان متاثر سپدتھ چھہ تمِ سجدس منز یتھ پنہ نِس خدایہ سُند بیاکی حمد و ثنا یاد کران۔ بیہ چھنہ تم ایمان اَننہ نِشہِ گُنہ قسمہ تکبر تہٕ غرور کران یتھہِ پاٹھِ کافر چھہ تکبرُ کران یہ گوتُہندہ اِعترافک حال امہ پتہ چھو بیان تُہندین اعمالن ہیوند تَتَجَافٰى جُنُوۡبُهُمۡ عَنِ الۡمَضَاجِعِ يَدۡعُوۡنَ رَبَّهُمۡ خَوۡفًا وَّطَمَعًا وَّمِمَّا رَزَقۡنٰهُمۡ يُنۡفِقُوۡنَ ایمان اُنن نہ سانین آیاتن مگر تمے لوکھ تُہنزہ لرہ وَتھر نیو نِشہِ خفتن نمازتہٕ تہجدچ نماز پرنہ خاطرہ تمہ علاوہ چھہ منگان تم پنہ نِس پروردگارس آلودِی دِی عذابحہ خوفہ تہٕ ثوابچہ امیدواری سان بیہ چھہ تم تمہِ مالہ منزہ یُس اسیِ عطا کورمُت چُھہ خرچ کران خدایہ سنزِہ وَتہِ اندر فَلَا تَعۡلَمُ نَفۡسٌ مَّاۤ اُخۡفِىَ لَهُمۡ مِّنۡ قُرَّةِ اَعۡيُنٍ ۚ جَزَآءًۢ بِمَا كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ پس چھنہ

تَوْصِيَةً وَّلَآ اِلٰٓى اَهْلِهِمْ يَرْجِعُوْنَ ۝٥٠ وَنُفِخَ فِى الصُّوْرِ فَاِذَا هُمْ
مِّنَ الْاَجْدَاثِ اِلٰى رَبِّهِمْ يَنْسِلُوْنَ ۝٥١ قَالُوْا يٰوَيْلَنَا مَنْۢ بَعَثَنَا
مِنْ مَّرْقَدِنَا ۜ هٰذَا مَا وَعَدَ الرَّحْمٰنُ وَصَدَقَ الْمُرْسَلُوْنَ ۝٥٢
اِنْ كَانَتْ اِلَّا صَيْحَةً وَّاحِدَةً فَاِذَا هُمْ جَمِيْعٌ لَّدَيْنَا مُحْضَرُوْنَ ۝٥٣
فَالْيَوْمَ لَا تُظْلَمُ نَفْسٌ شَيْـًٔا وَّلَا تُجْزَوْنَ اِلَّا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ۝٥٤ اِنَّ
اَصْحٰبَ الْجَنَّةِ الْيَوْمَ فِىْ شُغُلٍ فٰكِهُوْنَ ۝٥٥ هُمْ وَاَزْوَاجُهُمْ فِىْ ظِلٰلٍ

---

پیاران مگر کُنی سخت کریکھ یعنی نفخہ اولیٰ یوسہ تِمن ہنگہ تہ منگہ رَٹہِ۔ تِم آسن پانہ وانِ تمہ وقتہ حسب معمول پنہ پنن معاملاتن اندر ہرہ ہرے کران تتھ آوازہ سیتی گژھن تِم ختم فَلَا يَسْتَطِيْعُوْنَ تَوْصِيَةً وَّلَآ اِلٰٓى اَهْلِهِمْ يَرْجِعُوْنَ پس ہیکن نہ تِم تمہ ساتہ شرین باٗژن ہندہِ خاطرہ کانہہ وصیتاہ کرتھ۔ نہ ہیکن پنہ نِس عیالس کُن واپس یتھ۔ یُس یتہ نَس آسہِ سُہ مرہِ تتی تھے۔ یہِ گوہ گوڈہ نیک پھوکھ۔ یمہ سیت ساری مَرن وَنُفِخَ فِى الصُّوْرِ فَاِذَا هُمْ مِّنَ الْاَجْدَاثِ اِلٰى رَبِّهِمْ يَنْسِلُوْنَ تو پتہ ییہ ژتجہہ وُہر بیاکھ پھوکھ دِنہ پوٗغس منز۔ تمہِ سیت ساری ییہِ دوبارہ زِندہ سپدن یانِ سُہ پھوکھ ییہِ دِنہ تام نیرن قبرو منزہ تو پتہ پکن پنہ نِس خدایس کُن دوران دوران۔ تو پتہ یلہِ تتہ ہولناک تہ ہیبت ناک حالات وُچھن قَالُوْا يٰوَيْلَنَا مَنْۢ بَعَثَنَا مِنْ مَّرْقَدِنَا هٰذَا مَا وَعَدَ الرَّحْمٰنُ وَصَدَقَ الْمُرْسَلُوْنَ حیران سپدِتھ ونن اکھ اَکِس ہائے افسوس اَس کمی سَناتُلِ نندرہِ ہنزہِ جایہِ نِشہِ یعنی قبرو منزہ۔ ملایک ونہ نکھ۔ یہئے چھہ سو قیامت یمیُک وعدہ حضرتِ رحمٰن اوس فرماوان پوز آس فرماوان پیغمبر مگر تُہہ آسوہ نہ مانان۔ اللہ تعالیٰ چھہ فرماوان اِنْ كَانَتْ اِلَّا صَيْحَةً وَّاحِدَةً فَاِذَا هُمْ جَمِيْعٌ لَّدَيْنَا مُحْضَرُوْنَ بہر حال سُہ نفخہ ثانیہ یعنے دوٚیُم پھوکھ آسہِ کُنی سخت کریکھاہ یانِ سو سپدہِ تانِ ین تِم ساری جمع سپدِتھ اَسہِ برونٹھ کُن حاضر کرنہ فَالْيَوْمَ لَا تُظْلَمُ نَفْسٌ شَيْـًٔا وَّلَا تُجْزَوْنَ اِلَّا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ پس تمہِ دوہہ یعنی قیامتک دوہ ییہِ نہ کانسہِ شخص کُنہِ قسمہ ظُلم کرنہ ییہِ ایوہ نہ توہہِ جزاتہ بدلہ دِنہ مگر تمے کامن ہُندیمہ تُہہ دُنیاء ہس منز کران آسِو۔ یہِ گوو نارہ کین لوکن ہُند

عَلَى الْاَرَآئِكِ مُتَّكِـُٔوْنَ ﴿٥٦﴾ لَهُمْ فِيْهَا فَاكِهَةٌ وَّلَهُمْ مَّا يَدَّعُوْنَ ﴿٥٧﴾
سَلٰمٌ ۣ قف قَوْلًا مِّنْ رَّبٍّ رَّحِيْمٍ ﴿٥٨﴾ وَامْتَازُوا الْيَوْمَ اَيُّهَا الْمُجْرِمُوْنَ ﴿٥٩﴾
اَلَمْ اَعْهَدْ اِلَيْكُمْ يٰبَنِيْٓ اٰدَمَ اَنْ لَّا تَعْبُدُوا الشَّيْطٰنَ ۚ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ
مُّبِيْنٌ ﴿٦٠﴾ وَّاَنِ اعْبُدُوْنِيْ ؕ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ﴿٦١﴾ وَلَقَدْ اَضَلَّ
مِنْكُمْ جِبِلًّا كَثِيْرًا ؕ اَفَلَمْ تَكُوْنُوْا تَعْقِلُوْنَ ﴿٦٢﴾ هٰذِهٖ جَهَنَّمُ الَّتِيْ
كُنْتُمْ تُوْعَدُوْنَ ﴿٦٣﴾ اِصْلَوْهَا الْيَوْمَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْفُرُوْنَ ﴿٦٤﴾ اَلْيَوْمَ

---

حال اِنَّ اَصْحٰبَ الْجَنَّةِ الْيَوْمَ فِيْ شُغُلٍ فٰكِهُوْنَ بے شک جنتی آسن تمہِ دوہہ وارِیَہن شغلن سیت خوش دل هُمْ وَاَزْوَاجُهُمْ فِيْ ظِلٰلٍ عَلَى الْاَرَآئِكِ مُتَّكِـُٔوْنَ تمِ تہنز ہ بیہ زنانہ آسن سایَن تل۔ مزیّن تہ بیہ آرایش کرنہ آمتین پلنگن پیٹھ تکیہ دِتھ بہتھ لَهُمْ فِيْهَا فَاكِهَةٌ وَّلَهُمْ مَّا يَدَّعُوْنَ تہندِ ہ خاطرہ آسن تمن جنتن منز کم کم میوہ بیہ آسہِ تہندِ ہ خاطرہ تہِ سورُے یُچ تمِ خواہشِ تہ رغبت کرن سَلٰمٌ قَوْلًا مِّنْ رَّبٍّ رَّحِيْمٍ بیہ بوزن تمِ سلام رحمتہ والِس پروردگارہ سندِ ہ طرفہ۔ پانہ فرماوِ تمن سلام رحمتہ وول پروردگار تمن لفظن اندر السلام علیکم یا اہل الجنۃِ وَامْتَازُوا الْيَوْمَ اَيُّهَا الْمُجْرِمُوْنَ حکم سپدِ ہ موقفس منز اصحابِ نارن کہ جُدا روزِ واز با ایمانن نِشہِ ای کافرو کفرو شرِک کُک جرم کرہ وینوہ لوکو۔ کیازِ ہ باایمان یِن جنتس گژن۔ تُہہ اِیو سوزنہ نارِ جہنمّس گژن۔ تمی وقتہ ییہ تمن بطور زجر و ملامت وننہ اَلَمْ اَعْهَدْ اِلَيْكُمْ يٰبَنِيْٓ اٰدَمَ اَنْ لَّا تَعْبُدُوا الشَّيْطٰنَ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ ای بنی آدمو کیاہ میہ آسوہ نا تہہُ عہدہ کرہ ناُ ومت۔ بیہ اوس نا میہ تاکیدی حکم کورمُت کہ یُتھنہ تُہہ پرستش تہ عبادت کرِیو شیطانہ سنز کیازِ ہ سُہ چھ تُہند نون دُشمن وَّاَنِ اعْبُدُوْنِيْ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ بیہ آسموہ نا عہدہ کرہ ناُ ومتِ کہ عبادت کری زِہ میانی یاژ تیہِ چھوہ سیٚز وَتھ وَلَقَدْ اَضَلَّ مِنْكُمْ جِبِلًّا كَثِيْرًا اَفَلَمْ تَكُوْنُوْا تَعْقِلُوْنَ بے شک تمِ ڈالِ توہہِ اندرہ واریاہ لوکھ۔ کیاہ تُہہ آسوہ نا ایژہن تہِ زانان کہ اگر آسِ امِس شیطانہ سٔندہ گمراہ کرنہ سیت ڈلو تہ گمراہ سپدَ واُسِ تہِ عذابس مستحق هٰذِهٖ جَهَنَّمُ الَّتِيْ كُنْتُمْ تُوْعَدُوْنَ یکیا گوو سُہ جہنّم یمیُک توہہ وعدہ

نَخۡتِمُ عَلٰۤی اَفۡوَاهِهِمۡ وَ تُكَلِّمُنَاۤ اَيۡدِيۡهِمۡ وَتَشۡهَدُ اَرۡجُلُهُمۡ بِمَا كَانُوۡا
يَكۡسِبُوۡنَ ﴿۶۵﴾ وَلَوۡ نَشَآءُ لَطَمَسۡنَا عَلٰۤی اَعۡيُنِهِمۡ فَاسۡتَبَقُوا الصِّرَاطَ فَاَنّٰی
يُبۡصِرُوۡنَ ﴿۶۶﴾ وَلَوۡ نَشَآءُ لَمَسَخۡنٰهُمۡ عَلٰی مَكَانَتِهِمۡ فَمَا اسۡتَطَاعُوۡا
مُضِيًّا وَّلَا يَرۡجِعُوۡنَ ﴿۶۷﴾ وَمَنۡ نُّعَمِّرۡهُ نُنَكِّسۡهُ فِی الۡخَلۡقِ ؕ اَفَلَا
يَعۡقِلُوۡنَ ﴿۶۸﴾ وَمَا عَلَّمۡنٰهُ الشِّعۡرَ وَمَا يَنۡۢبَغِیۡ لَهٗ ؕ اِنۡ هُوَ اِلَّا ذِكۡرٌ وَّقُرۡاٰنٌ
مُّبِيۡنٌ ﴿۶۹﴾ لِّيُنۡذِرَ مَنۡ كَانَ حَيًّا وَّيَحِقَّ الۡقَوۡلُ عَلَى الۡكٰفِرِيۡنَ ﴿۷۰﴾

---

یوان اوس کرنہ۔ اِصۡلَوۡهَا الۡيَوۡمَ بِمَا كُنۡتُمۡ تَكۡفُرُوۡنَ اَژِواتھ جہنمس اندر یتھ توہہ انکار آسوہ کران اَلۡيَوۡمَ
نَخۡتِمُ عَلٰۤی اَفۡوَاهِهِمۡ وَتُكَلِّمُنَاۤ اَيۡدِيۡهِمۡ وَتَشۡهَدُ اَرۡجُلُهُمۡ بِمَا كَانُوۡا يَكۡسِبُوۡنَ تمہِ دوہہ کرواَس موہر تہندین
چانٹین پیٹھ توپتہ کرن کتھ اَسہِ سیت تُہند اَتھ۔ بیہ دِن گواہی تہند کھور تِمن سارنے کامین ہنز یمہ تِم
کران اَس دنیاءس اندر۔ یہ عذاب سپدہ تِمن آخرِ تس اندر وَلَوۡ نَشَآءُ لَطَمَسۡنَا عَلٰۤی اَعۡيُنِهِمۡ فَاسۡتَبَقُوا الصِّرَاطَ
فَاَنّٰی يُبۡصِرُوۡنَ ہرگاہ اَس یژھ ہَو دنیاسے منز دِمہ ہَواَس تِمن کُفرک سزا۔ گاشہِ رُوستوی کرہ ہو کھ اَچھ
تہنزہ۔ اَچھی تھاوہ ہو کھ نہ کُنہِ۔ توپتہ ہہن تمِ وتہِ گُن پکُن تہ دورُن۔ سوکتہِ سنالیہِ ہکھ وَتھ بوزنہ۔ اچھو
ورائے یااَچھن ہندہ گاشہِ ورائے وَلَوۡ نَشَآءُ لَمَسَخۡنٰهُمۡ عَلٰی مَكَانَتِهِمۡ فَمَا اسۡتَطَاعُوۡا مُضِيًّا وَّلَا يَرۡجِعُوۡنَ
اَمہِ خوتہ زیادہ بیہ ہرگاہ اَسے یژھ ہَو کُفرہ کِس سزاءس منز تِمن مسخ صورت کرنِ ضرور ہیکہ ہو کھ مسخ
صورت کَرِتھ۔ یتہِ نَس آسَن تتے نَس گژہَن روزِتھ۔ پَس ہیکہ ہَن نہ برونٹھ پکتھِ نہ پوت پھیر تھ۔
مسخ صور تَس سیت سپدہِ ہکھ ژوکھور۔ اَکسے جایہِ گژھہ ہَن روزِتھ۔ یہ گژھہِ نہ کینہہ عجایب زانُن کیازِہ
اچ اکھ نظیر چھہ موجود وَمَنۡ نُّعَمِّرۡهُ نُنَكِّسۡهُ فِی الۡخَلۡقِ اَفَلَا يَعۡقِلُوۡنَ بیہ یَس شخص اَسِ زیادہ عُمر چھہِ
دِوان تَسِ چھہ اَسے صورتس منز تبدیل کران۔ کیاہ یہِ حالت وِچھت تہِ چھنا تِمن فکرہِ تران وَمَا
عَلَّمۡنٰهُ الشِّعۡرَ وَمَا يَنۡۢبَغِیۡ لَهٗ اِنۡ هُوَ اِلَّا ذِكۡرٌ وَّقُرۡاٰنٌ مُّبِيۡنٌ تمِ کافر، یم نبوّتس اِنکار کرنہ خاطر حضرتِ
محمدس صلی اللہ علیہ وسلم شاعرونان چھہِ یہ تہندونن چھہ محض باطل، کیازِہ اَسہ چھنا وِنہ حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم

أَوَلَمْ يَرَوْا أَنَّا خَلَقْنَا لَهُم مِّمَّا عَمِلَتْ أَيْدِينَا أَنْعَامًا فَهُمْ لَهَا مَالِكُونَ ﴿٧١﴾ وَذَلَّلْنَاهَا لَهُمْ فَمِنْهَا رَكُوبُهُمْ وَمِنْهَا يَأْكُلُونَ ﴿٧٢﴾ وَلَهُمْ فِيهَا مَنَافِعُ وَمَشَارِبُ ۖ أَفَلَا يَشْكُرُونَ ﴿٧٣﴾ وَاتَّخَذُوا مِن دُونِ اللَّهِ آلِهَةً لَّعَلَّهُمْ يُنصَرُونَ ﴿٧٤﴾ لَا يَسْتَطِيعُونَ نَصْرَهُمْ وَهُمْ لَهُمْ جُندٌ مُّحْضَرُونَ ﴿٧٥﴾ فَلَا

---

بأتھ وَنُنِ۔ نہ چھُہ تہندس شانس سزاوار کیازِہ تم چھِہ اعلیٰ درجک محقّق۔ مضامین شعر یُک بناچھُہ محض تخیلُاتن پیٹھ آسان۔ یمن دون کتھن منز چھُہ کافی تنافی تہ تناقض یہِ تم بیان کران چھِہ تہِ چھُنہ مگر نصیحتک کلام۔ بیہ احکامِ الٰہی نَنہ راوہ ڈن قرآن مجید لِّيُنذِرَ مَن كَانَ حَيًّا وَيَحِقَّ الْقَوْلُ عَلَى الْكَافِرِينَ یُتھ تم بیم گرن تس شخص یُس تمِ سُند دِل زندہ آسہ۔ بیہ یُتھ کافرن پیٹھ عذاءٔ نِچ حجّت قائم سپدِہ۔ تمن بیہِ وَنُنہ باوجودِ ایں کہ تُہے بوزِ وسانِ احکام مگر بوز تھ کُرِ وانکار أَوَلَمْ يَرَوْا أَنَّا خَلَقْنَا لَهُم مِّمَّا عَمِلَتْ أَيْدِينَا أَنْعَامًا فَهُمْ لَهَا مَالِكُونَ کیاہ تمو مشرِکَو کُر نا یُتھ کُن نظر کہ اَسہِ کور تہندِہ فایدہ تہ نفعہ خاطرہ پنہ نیو اَتھو سیت بناوِے متو چیزَ واَندرہ چارواے پادہ۔ چنانچہ سانِ مالِک بناونہ سیت بنایَے تم تمن چاروایَن ہند مالک وَذَلَّلْنَاهَا لَهُمْ فَمِنْهَا رَكُوبُهُمْ وَمِنْهَا يَأْكُلُونَ بیہ کُر اَسہِ تم چارو آے رام تہ مسخر تہندِہ خیطرہ۔ پس چھِہ تمو اَندرہ اڈین پیٹھ سوار سپدان بیہ چھِہ تمو اَندرہ اڈین تمِ کھیوان وَلَهُمْ فِيهَا مَنَافِعُ وَمَشَارِبُ أَفَلَا يَشْكُرُونَ بیہ چھِہ تہندِہ خاطرہ تمن چاروایَن منز واریاہ فایدہ بیہ دود چنہ چہ جایہِ۔ کیاہ اتھ پیٹھ تہِ کرن نا تم شکر گذ آری سانِ یتھ منز سارووے چیزَ واَندرہ اہم تر اقدام اوس توحید قبول کرُن۔ مگر تمو کور شکرہ تہِ توحیدہ چہ جایہِ کُفر تہِ شرِک اختیار وَاتَّخَذُوا مِن دُونِ اللَّهِ آلِهَةً لَّعَلَّهُمْ يُنصَرُونَ یمہ یمہ مہربانیہ عطاکُرِ تھ ٹھُہراو تمو معبودِ برحقس ورائے اپزِ معبود۔ یتھ وو میز پیٹھ کہ دیوہ تمن معبودانِ باطِلن ہندِہ طرفہ واتہِ کانہہ مدداہ لَا يَسْتَطِيعُونَ نَصْرَهُمْ مگر تم ہیکن نہ تمن کُنہِ قسمہ مددکُرِ تھ۔ مدد کرہ نِچ کیاہ کتھ چھِہ وَهُمْ لَهُمْ جُندٌ مُّحْضَرُونَ حالانکہ تم تہِ ین تُہند فوج بنتھ یِکہِ وَٹہِ جبراً حاضر کرنہ۔ تو پتہ کرن تہنزِ ے مخالفت تمن خلاف دِن بیان دینکھ یُتہ آسونہ اَسہِ عبادت کران۔ وونِ یلہِ تمِ لوکھ تمن

يَحْزُنْكَ قَوْلُهُمْ ۘ إِنَّا نَعْلَمُ مَا يُسِرُّونَ وَمَا يُعْلِنُونَ ﴿٧٦﴾ أَوَلَمْ يَرَ الْإِنسَانُ أَنَّا خَلَقْنَاهُ مِن نُّطْفَةٍ فَإِذَا هُوَ خَصِيمٌ مُّبِينٌ ﴿٧٧﴾ وَضَرَبَ لَنَا مَثَلًا وَنَسِيَ خَلْقَهُ ۖ قَالَ مَن يُحْيِي الْعِظَامَ وَهِيَ رَمِيمٌ ﴿٧٨﴾ قُلْ يُحْيِيهَا الَّذِي أَنشَأَهَا أَوَّلَ مَرَّةٍ ۖ وَهُوَ بِكُلِّ خَلْقٍ عَلِيمٌ ﴿٧٩﴾ الَّذِي جَعَلَ لَكُم مِّنَ

---

واضح تہٖ صاف امورن خلاف کران چھِہ فَلَا يَحْزُنْكَ قَوْلُهُمْ إِنَّا نَعْلَمُ مَا يُسِرُّونَ وَمَا يُعْلِنُونَ پس مہٕ حض کٔرِن غمگین توہہ یارسول اللہ تہنزہ کتھ توحید ورسالتس متعلق۔ کیازِ آزردگی چھِہ سپدان اُمیز ہنزِ جایہِ۔ وومیز ہنزِ جایہِ چھِہ آسان سہ مخاطِب یُس عقل وانصاف آسہِ۔ یم لُوکھ چھِہ غبی۔ لہٰذا چھَنہ تِمن عقلے۔ بیہ چھِہ تِمن لُوکن غبار لہٰذا معاندس نِشہِ انصافُک توقع تھاوُن چھِہ غلط۔ لہٰذا چھَنہ تِمِ محل امیدے۔ تتھ کُن نظر کٔرِتھ چھُنہ غم کھینک تہٕ کانہہ موقے۔ بے شک اَس چھِہ زانان تہٕ سورُے یہ تِم کھٹتھ کران چھِہ دِلَن اندر۔ بیہ یہِ ظاہر کران چھِہ تِمِ زیٛو سیت۔ وقت واتِن تِمن بیہ تِمہِ ساتہٕ پوٗر سزا دِنہ أَوَلَمْ يَرَ الْإِنسَانُ أَنَّا خَلَقْنَاهُ مِن نُّطْفَةٍ فَإِذَا هُوَ خَصِيمٌ مُّبِينٌ بیہ وُچھنا اَمِ انسانن یُس مَرنہ پتہٕ بیہ پیدہ سپدنس انکار چھِہ کران کہِ اَسہِ کورسہٕ پادہ اَکِس حقیر آبہ قطرس۔ لازِم اوس تس انسانس پننِ یہ اِبتدائی حالت ژیٛتس پاوِتھ انہِ ہاسہٕ زیرِ نظر پننِ حقارت تہٕ پنہِ نس خالقہ سنز عظمت تو پتہٕ کرِہاسہٕ جرُأت اِنکار کرُہ نُک۔ نہ کرِہا گستاخی اتھ پیٹھ اعتراض کرِہ نُک۔ شرمندہ گی سیت گلہِ ہا اَندرِ اَندری بیہ کرِہا پانے پنہِ نِس اَتھ حالس پیٹھ نظر کٔرِتھ مرنہ پتہٕ زندہ سپدنس اِقرار تہٕ پڑھ۔ تہٕ کورُن نہ بلکہِ لوگ تِمِن پاٹھ اعتراض گرنہِ۔ بلکہ کورُن اَسہِ سیت مقابلہ کٔرِتھ قیامتس انکار وَضَرَبَ لَنَا مَثَلًا وَنَسِيَ خَلْقَهُ قَالَ مَن يُحْيِي الْعِظَامَ وَهِيَ رَمِيمٌ بیہ لگِ بیان کرنہِ ساَنس شانس منز عجیب عجیب مثالہ تِمہِ سیت انکار قدرت چھِہ لازم یِوان۔ پننِ اصلیت گییس مِشدِ ے۔ یاد رُودس نہ۔ حقیر قطرہ آسِتھ بنوو اَسہِ انسان۔ یوہے چھِہ دپان، کوہ ہیکہِ زندہ کٔرِتھ دودرے مژہ اَڈے جہِ قُلْ يُحْيِيهَا الَّذِي أَنشَأَهَا أَوَّلَ مَرَّةٍ وَهُوَ بِكُلِّ خَلْقٍ عَلِيمٌ تُہہ فرمٲیوس یارسول اللہ تِمن دودرے مژن اَڈجن گرِہ زندہ سُی ذاتِ پاک۔ یمِ یم پادہ کرِہ گوڈنچہ لٹہِ

الشَّجَرِ الْاَخْضَرِ نَارًا فَاِذَآ اَنْتُمْ مِّنْهُ تُوْقِدُوْنَ ﴿٨٠﴾ اَوَلَيْسَ الَّذِيْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِقٰدِرٍ عَلٰٓى اَنْ يَّخْلُقَ مِثْلَهُمْ ۚ بَلٰى ۚ وَهُوَ الْخَلّٰقُ الْعَلِيْمُ ﴿٨١﴾ اِنَّمَآ اَمْرُهٗٓ اِذَآ اَرَادَ شَيْـًٔا اَنْ يَّقُوْلَ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ ﴿٨٢﴾ فَسُبْحٰنَ الَّذِيْ بِيَدِهٖ مَلَكُوْتُ كُلِّ شَيْءٍ وَّاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ﴿٨٣﴾ ع

---

يلهِ نه يهِ ڪنهي اوس يلهِ يهِ حياتہ نشهِ سيٹهاه ڏوراوس۔ وونِ ڇھہ ام اکه لٹهِ حيات وزندگي قبول کورمُت۔ وون پاده ڪرُن ڪياه عجائب ڇهہ۔ سُه ڇهہ پريتھ طريقه پاده ڪرُن پورزانان۔ ابتداء تہ۔ دوباره تہ۔ تس نشهِ ڇهنه ڪنهي مشکل اِلَّذِيْ جَعَلَ لَكُمْ مِّنَ الشَّجَرِ الْاَخْضَرِ نَارًا فَاِذَآ اَنْتُمْ مِّنْهُ تُوْقِدُوْنَ سُه گووُے قدرتہ وول يُس تُهنده خاطره سبزاسبز ڪُلهِ منزه نار ڇهہ پاده ڪران۔ اده ڇهوه تُهه تمهِ سيت ژکھ دِوان تہ ہُرهِ هيوان۔ چنانچهِ ڪليو منزه ڇهہ بعضے ڪُلِ تِمَنِ هنزِه اکه ڇُهِ ستے ٻيس ڇهِ گکھر دتھِ نار ڇهہ نيران۔ اَوَلَيْسَ الَّذِيْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِقٰدِرٍ عَلٰٓى اَنْ يَّخْلُقَ مِثْلَهُمْ ڪياه سُه ذاتِ پاک تِمِ آسمان تہ زمين تِمِ بڑ مخلوقات پاده کُر ڇهُنا قدرتہ وول سُه ڪياه کره اِنسانس هوِس لوکُٹس مخلوقس دوباره بيه پاده بَلٰى وَهُوَ الْخَلّٰقُ الْعَلِيْمُ البتہ سُه ڇهو بوڑ پاده کرہ وُن پاده کُرن پورزانان اِنَّمَآ اَمْرُهٗٓ اِذَآ اَرَادَ شَيْـًٔا اَنْ يَّقُوْلَ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ تُهنز قدرت ڇهِ ترشھے کہ يلهِ سُه اراده ڇهہ کران کُنهِ چيزسهِ پاده کره نگ۔ سُه ڇهہ دپان تتھ چيزس سپد پاده۔ اتي ڇهہ سُه چيز پاده سپدان۔ تس نشهِ کوسہ کتھ ڇهہ وونِ مشکل فَسُبْحٰنَ الَّذِيْ بِيَدِهٖ مَلَكُوْتُ كُلِّ شَيْءٍ وَّاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ اژهو کُتهو سيت سپُد ثابت کہ سُه معبود ڇهو منزّه تہ پاک تِمِ سندِس اَتهس منز سارنے چيزن هُند اختيار ڇهہ۔ سُه ڇهُتہ کُنهِ چيزس اندر کُنهِ قسمہ عاجزِ۔ تُهه ساري ييو تس کُن پتو لاکه قيامتک دوه واتناونه۔



# سُوْرَةُ الصّٰٓفّٰتِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ ○

وَالصّٰٓفّٰتِ صَفًّا ① فَالزّٰجِرٰتِ زَجْرًا ② فَالتّٰلِیٰتِ ذِكْرًا ③ اِنَّ اِلٰهَكُمْ لَوَاحِدٌ ④ رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَیْنَهُمَا وَرَبُّ الْمَشَارِقِ ⑤ اِنَّا زَیَّنَّا السَّمَآءَ الدُّنْیَا بِزِیْنَةِ ﹰالْكَوَاكِبِ ⑥ وَحِفْظًا مِّنْ كُلِّ شَیْطٰنٍ مَّارِدٍ ⑦ لَا یَسَّمَّعُوْنَ اِلَى الْمَلَاِ الْاَعْلٰى وَیُقْذَفُوْنَ مِنْ كُلِّ جَانِبٍ ⑧ دُحُوْرًا وَّلَهُمْ عَذَابٌ وَّاصِبٌ ⑨ اِلَّا مَنْ خَطِفَ

---

وَالصّٰٓفّٰتِ صَفًّا قسم چھہ تمن ملایکن ہُند یم عبادت کرنہٕ وقتہ یا احکامِ اِلٰہی بوزنہٕ وقتہ صف دی دی چھہِ ایستادہ روزان فَالزّٰجِرٰتِ زَجْرًا بیہِ چھہ قسم تمن ملائکن ہُند یم زوتہ وِنین تارکن ہندہِ ذریعہ آسمانی خبرہ انہ وِنین شیطانن گرزتہ لار کران چھہِ فَالتّٰلِیٰتِ ذِكْرًا بیہِ چھہ قسم تمن ملائیکن ہند یم یادِ خدا تسبیح و تقدیس پَران چھہِ۔ یم تریہ قسم چھُس بہ ہاوان یتھ کتھ پیٹھ کہِ اِنَّ اِلٰهَكُمْ لَوَاحِدٌ بے شک تہند معبود چھہ اکوے رَبُّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَیْنَهُمَا وَرَبُّ الْمَشَارِقِ یچ دلیل چھہ یہے کہ سُہ چھہ پروردگار آسمانَن تہ زمینن ہُند۔ بیہِ تمہِ سارِئے یہ آسمانن تہ زمینن درمیان چھہ۔ بیہ چھہ سُے پروردگار تمن سارِنے جایَن ہُند یمن جایَن ساری ستارہ طلوع کران چھہ اِنَّا زَیَّنَّا السَّمَآءَ الدُّنْیَا بِزِیْنَةِ ﹰالْكَوَاكِبِ پزٕ پاٹھ اَسہِ دُیت زینت تہ اَسی کر آرائیش نکھہ آسمانَس ستارَن ہندِہ سیت وَحِفْظًا مِّنْ كُلِّ شَیْطٰنٍ مَّارِدٍ بیہ کُرِ حفاظت تہ رٹچھے یمو سِتارَو سیت آسمانی خبرن پریتھ سرکش تہ شریر شیطانس نشہِ لَا یَسَّمَّعُوْنَ اِلَى الْمَلَاِ الْاَعْلٰى وَیُقْذَفُوْنَ مِنْ كُلِّ جَانِبٍ * دُحُوْرًا چنانچہ تمی موکھ چھنہ تمِ شیطان ہیکان نہ گن دِتھ ملاء اعلیٰ اَس یعنی ملایکن ہنزَن مجلِسن۔ بلکہِ چھہِ برِ تھ یوان دِنہ تمِ پریتھ طرفہ۔ ڈکہ دی دی چھہ تمِ

الْخَطْفَةَ فَأَتْبَعَهُ شِهَابٌ ثَاقِبٌ ﴿١٠﴾ فَاسْتَفْتِهِمْ أَهُمْ أَشَدُّ خَلْقًا أَمْ مَنْ خَلَقْنَا ۚ إِنَّا خَلَقْنَاهُمْ مِنْ طِينٍ لَازِبٍ ﴿١١﴾ بَلْ عَجِبْتَ وَيَسْخَرُونَ ﴿١٢﴾ وَإِذَا ذُكِّرُوا لَا يَذْكُرُونَ ﴿١٣﴾ وَإِذَا رَأَوْا آيَةً يَسْتَسْخِرُونَ ﴿١٤﴾ وَقَالُوا إِنْ هَٰذَا إِلَّا سِحْرٌ مُبِينٌ ﴿١٥﴾ أَإِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَعِظَامًا أَإِنَّا لَمَبْعُوثُونَ ﴿١٦﴾

---

دور یوان کرنہ۔ یہ گوو تِمن دُنیاہس اندر سزا وَلَهُمْ عَذَابٌ وَاصِبٌ بیہ چھہ تِہندِہ خاطرہ آخرِ تَس اندر ہمیشہ گی ہُند عذاب نار جہنمس اندر إِلَّا مَنْ خَطِفَ الْخَطْفَةَ فَأَتْبَعَهُ شِهَابٌ ثَاقِبٌ مگرے کانہہ شیطانہ تھپہِ تھوسہ کانہہ خبراہ ہیتھ ژلان چھہ۔ تَس چھہ پتہٕ لاران اکھ نارہ ریہاہ اکھ زوتہ ونِ تہ پرزلہ ونِ۔ سوے چھہ تَس گالان فَاسْتَفْتِهِمْ أَهُمْ أَشَدُّ خَلْقًا أَمْ مَنْ خَلَقْنَا تُہے پرِ ژھتو تِمن مُنکرن یا رسول اللہ یم انکار چھہِ کران قیامَتس تہ مرنہ پتہ بیہِ زندہ سپدنس، تِم لاجواب گرنچہِ طریقہ کہ کیاہ تِم پادہ کرن چھا سخت کِنہ تِم مخلوق یِم اَسہِ پادہ کٔر، یِمن ہنز ذِکر گرنہ آیہ إِنَّا خَلَقْنَاهُمْ مِنْ طِينٍ لَازِبٍ تِم لُوکھ چھہِ اَسہِ پادہ کٔر مئتِ لآرِ تھ گرٛھہ ونہِ تہ پشاجہِ میژہ۔ یتھ نہ کانہہ قوتھاہ تہ طاقتھاہ چھہ پَس یِلہِ اَسہِ طاقت تہ قدرت چھہ ابتداءً قوی تہ سخت مخلوقات پادہ کرہ نَس پیٹھ، ضعیف تہ سُست مخلوقات بیہِ دوبارہ پادہ کرنِ کیاہ مشکل چھہ اَسہِ نِشہِ۔ مگر باوجود دِاژھہ واضح دلیلہ بیان کرتھ تہ چھنہ یِم لوکھ مرنہ پتہ بیہِ زندہ سپدنس پڑھ گران بَلْ عَجِبْتَ وَيَسْخَرُونَ تُہہ چھوہِ بلکہ یِہندِس حالس پیٹھ تعجب کران کہ یِمن کونہ

چھہ یہِ صاف کتھ فِکرِہ تران۔ تِم چھہِ اِنکار کرنچہِ علاوہ تہزن کتھَن پیٹھ تمسخر تہ ٹھٹھہ کران وَإِذَا ذُكِّرُوا لَا يَذْكُرُونَ یِلہِ تِمن فِکرہِ یوان چھہ تارنہ، فہمآلِش تہ نصیحت چھہ یوانِ کرنہ تِمن چھہُنہ کُنہِ قسمہ فِکرہِ تران وَإِذَا رَأَوْا آيَةً يَسْتَسْخِرُونَ بیہ یِلہِ وچھان چھہِ تِم کانہہ مُعجزاہ یُس تِمن ثبوتِ نبوتہ خاطرہ ہاونہِ یوان چھہ تتھ چھہِ ٹھٹھ تہ تمسخر کُران وَقَالُوا إِنْ هَٰذَا إِلَّا سِحْرٌ مُبِينٌ بیہ چھہِ دپان یہِ معجزہ چھہ صاف جودتہ سحر أَإِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَعِظَامًا أَإِنَّا لَمَبْعُوثُونَ کیاہ سَنا یِلہِ اَسے مَرَو تہ میٔژ گرٛھو اڈٕجِ یاژہ روزو تو پتہ یِمواَس دوبارہ زندہ کٔرِتھ تھودتُلنہ أَوَآبَاؤُنَا الْأَوَّلُونَ کیاہ سانِ برونٹھم ماَلِ بُڈ بَب تہِ ینہِ

أَوَ اٰبَآؤُنَا الْاَوَّلُوْنَ ﴿١٧﴾ قُلْ نَعَمْ وَاَنْتُمْ دَاخِرُوْنَ ﴿١٨﴾ فَاِنَّمَا هِيَ زَجْرَةٌ
وَّاحِدَةٌ فَاِذَا هُمْ يَنْظُرُوْنَ ﴿١٩﴾ وَقَالُوْا يٰوَيْلَنَا هٰذَا يَوْمُ الدِّيْنِ ﴿٢٠﴾ هٰذَا
يَوْمُ الْفَصْلِ الَّذِيْ كُنْتُمْ بِهٖ تُكَذِّبُوْنَ ﴿٢١﴾ اُحْشُرُوا الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا
وَاَزْوَاجَهُمْ وَمَا كَانُوْا يَعْبُدُوْنَ ﴿٢٢﴾ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ فَاهْدُوْهُمْ اِلٰى
صِرَاطِ الْجَحِيْمِ ﴿٢٣﴾ وَقِفُوْهُمْ اِنَّهُمْ مَّسْئُوْلُوْنَ ﴿٢٤﴾ مَا لَكُمْ لَا تَنَاصَرُوْنَ ﴿٢٥﴾ بَلْ
هُمُ الْيَوْمَ مُسْتَسْلِمُوْنَ ﴿٢٦﴾ وَاَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ يَّتَسَآءَلُوْنَ ﴿٢٧﴾
قَالُوْا اِنَّكُمْ كُنْتُمْ تَاْتُوْنَنَا عَنِ الْيَمِيْنِ ﴿٢٨﴾ قَالُوْا بَلْ لَّمْ تَكُوْنُوْا مُؤْمِنِيْنَ ﴿٢٩﴾

---

ٻيهر زندهه ڪرڻ **قُلْ نَعَمْ وَاَنْتُمْ دَاخِرُوْنَ** تون فرمايو تہ يا رسول الله ها. اوهان ضرور ٻيهر زنده ڪرڻا. ٻيهر سڀ تون ذليل ۽ خوار **فَاِنَّمَا هِيَ زَجْرَةٌ وَّاحِدَةٌ فَاِذَا هُمْ يَنْظُرُوْنَ** قيامت ڇا مگر گهٽي ڪريهڪ آهي. ان سو ڪريهڪ گڙهه آتي نيرن لوڪ زندهه گڙهتهه قبر ۽ منزه تو پتہ لڳن حيران سڀ تہ وڇهن **وَقَالُوْا يٰوَيْلَنَا هٰذَا يَوْمُ الدِّيْنِ** ٻيهر ڏين افسوس سانهه خاطره اوهو، ٻيهر ڇهه جزاءُ ڪ ڏوهه **هٰذَا يَوْمُ الْفَصْلِ الَّذِيْ كُنْتُمْ بِهٖ تُكَذِّبُوْنَ** ونہ پيڪهه اوهه يوهه ڪياه گوو فيصلڪ سه ڏوهه يتهه تهه انڪار ڪران آسوهه **اُحْشُرُوا الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا وَاَزْوَاجَهُمْ وَمَا كَانُوْا يَعْبُدُوْنَ * مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ فَاهْدُوْهُمْ اِلٰى صِرَاطِ الْجَحِيْمِ** حڪم سڀ ملائڪن ڪه سونبر آويو ڪه تم لوڪ تمو ظلم ڪورپان پانس شرڪه سيت، ٻيهر تهند تابع تہ پير ۽ ٻيهر تهند معبودان باطل يهن تم عبادت ڪران آس معبود برحقس ورائے يعني شيطان تہ پوتل تو پتہ هاويوڪه جهنم وته يعني واتنا ويوڪه جهنمس اندر **وَقِفُوْهُمْ اِنَّهُمْ مَّسْئُوْلُوْنَ** سر دست ٺهر آويوڪه تم ووته ڏنہ ٿهاويوڪه تم تمن ڇهه ڪينهه پرڇهن **مَا لَكُمْ لَا تَنَاصَرُوْنَ** ڏپنہ پيڪهه توهه ڪياه گووه، تهه ڇهوه نہ اڪه اڪس مدد ڪران **بَلْ هُمُ الْيَوْمَ مُسْتَسْلِمُوْنَ** بلڪه آسن تم تمهه ڏوهه اڪه اڪس ٺهوله ڏوهه ونے تہ اڪه اڪس نشهه بے توجه سپده ونے **وَاَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ يَّتَسَآءَلُوْنَ** تو پتہ ڦيرن تم اڏے اڏين ڪن. اڪه اڪس ڪن متوجه سپدت ڪرن سوال ۽ جواب **قَالُوْا اِنَّكُمْ كُنْتُمْ تَاْتُوْنَنَا**

وَمَا كَانَ لَنَا عَلَيْكُم مِّن سُلْطَٰنٍ ۖ بَلْ كُنتُمْ قَوْمًا طَٰغِينَ ﴿٣٠﴾ فَحَقَّ عَلَيْنَا
قَوْلُ رَبِّنَآ ۖ إِنَّا لَذَآئِقُونَ ﴿٣١﴾ فَأَغْوَيْنَٰكُمْ إِنَّا كُنَّا غَٰوِينَ ﴿٣٢﴾ فَإِنَّهُمْ
يَوْمَئِذٍ فِى ٱلْعَذَابِ مُشْتَرِكُونَ ﴿٣٣﴾ إِنَّا كَذَٰلِكَ نَفْعَلُ بِٱلْمُجْرِمِينَ ﴿٣٤﴾
إِنَّهُمْ كَانُوٓا۟ إِذَا قِيلَ لَهُمْ لَآ إِلَٰهَ إِلَّا ٱللَّهُ يَسْتَكْبِرُونَ ﴿٣٥﴾ وَيَقُولُونَ
أَئِنَّا لَتَارِكُوٓا۟ ءَالِهَتِنَا لِشَاعِرٍ مَّجْنُونٍۭ ﴿٣٦﴾ بَلْ جَآءَ بِٱلْحَقِّ وَصَدَّقَ
ٱلْمُرْسَلِينَ ﴿٣٧﴾ إِنَّكُمْ لَذَآئِقُوا۟ ٱلْعَذَابِ ٱلْأَلِيمِ ﴿٣٨﴾ وَمَا تُجْزَوْنَ إِلَّا مَا

---

عَنِ الْيَمِيْنِ چنانچہ تابع دِپن متبو عن اُسِ کَرے وہ توہی گمراہ۔ کیازہ تُھہ آسوہ اَسہِ نشہِ زبردستی سان ڈالنہ یوان۔ اَسہِ پیٹھ آسِوہ دباوَ تہ زور تر آو تھ اَسہِ گمراہ کران قَالُوْا بَلْ لَّمْ تَكُوْنُوْا مُؤْمِنِيْنَ تمِ متبوعین دَپنکھ سون زوراوس نہ توہہ پیٹھ کینہہ تہ۔ بلکہِ آسوہ نہ تُھی پانہ ایمان انہ وَنِ وَمَا كَانَ لَنَا عَلَيْكُمْ مِّنْ سُلْطٰنٍ بَلْ كُنْتُمْ قَوْمًا طٰغِيْنَ بیہ اوس نہ توہہ پیٹھ سون کانہہ زور تہ جبر۔ بلکہِ آسوہ تہی پانہ سرکش قوماہ فَحَقَّ عَلَيْنَا قَوْلُ رَبِّنَآ اِنَّا لَذَآئِقُوْنَ معلوم پھہ سپدان کہِ اُسِ ساری آسِ ازلی محروم ایمانہ نشہِ۔ تمِی سپز اَسہِ پیٹھ ازلی کتھ محقق تتھ کُن نظر کَرِ تھ پھہ اَسہِ سارنے عذابُک مزہ ضرور ژہُن فَاَغْوَيْنٰكُمْ اِنَّا كُنَّا غٰوِيْنَ اَسہِ ڈالِ وہ تُھہ۔ اُس آس پانہ تہ ڈعلمتے راہ راستہ نشہِ فَاِنَّهُمْ يَوْمَئِذٍ فِى الْعَذَابِ مُشْتَرِكُوْنَ پَس آسَن تمِ ساری تمہِ دوہہ عذابس اندر شریک اِنَّا كَذٰلِكَ نَفْعَلُ بِالْمُجْرِمِيْنَ اُسِ پھہِ نافرمانن جرم کارَن سیت یوہ ہے سلوک کران اِنَّهُمْ كَانُوْا اِذَا قِيْلَ لَهُمْ لَآ اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ يَسْتَكْبِرُوْنَ یم گے تمِ تمن نہ توحیدچ پڑھ آس نہ رِسالچ۔ وننہ اوس یوان تمن دنیاءس اندر پَرُ وِ لاالہ الا اللہ۔ تورہ آسے سرکشی تہ تکبر کران وَيَقُوْلُوْنَ اَئِنَّا لَتَارِكُوْٓا اٰلِهَتِنَا لِشَاعِرٍ مَّجْنُوْنٍ دپان آس کیاہ اُسِ تراو وکھ پننے معبود اُکس شاعرِس تہ دیوانس اکِ سندہِ وننہ مُوجب۔ اللہ تعالیٰ پھہ فَرماوان یہ پیغمبر برحق نہ پھہ شاعرِ تہ نہ پھہ دیوانہ بَلْ جَآءَ بِالْحَقِّ وَصَدَّقَ الْمُرْسَلِيْنَ بلکہ پھہ پیغمبر برحق آو سہ تمن نشہِ پوزدین ہیتھ۔ بیہ پھہِ سہ برونٹھمِین پیغمبرن تہِ تصدیق تہ تائید کران اِنَّكُمْ لَذَآئِقُوا الْعَذَابِ الْاَلِيْمِ اے مشرِکو تہ کافرو توہہِ

كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿۳۹﴾ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الْمُخْلَصِيْنَ ﴿۴۰﴾ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ رِزْقٌ مَّعْلُوْمٌ ﴿۴۱﴾ فَوَاكِهُ ۚ وَهُمْ مُّكْرَمُوْنَ ﴿۴۲﴾ فِيْ جَنّٰتِ النَّعِيْمِ ﴿۴۳﴾ عَلٰى سُرُرٍ مُّتَقٰبِلِيْنَ ﴿۴۴﴾ يُطَافُ عَلَيْهِمْ بِكَاْسٍ مِّنْ مَّعِيْنٍ ﴿۴۵﴾ بَيْضَآءَ لَذَّةٍ لِّلشّٰرِبِيْنَ ﴿۴۶﴾ لَا فِيْهَا غَوْلٌ وَّلَا هُمْ عَنْهَا يُنْزَفُوْنَ ﴿۴۷﴾ وَعِنْدَهُمْ قٰصِرٰتُ الطَّرْفِ عِيْنٌ ﴿۴۸﴾ كَاَنَّهُنَّ بَيْضٌ مَّكْنُوْنٌ ﴿۴۹﴾ فَاَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ

---

سارنے یعنی تابعن تہٕ متبوعَن تہٕ چھہ دگ تلہ ونہٕ عذابُک ضرور مزہ ژہُن وَمَا تُجْزَوْنَ اِلَّا مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ اتھ منز چھُنہ توہہٕ پیٹھ کانہہ ظلم کیازِہ توہہٕ یِیہ نہ سزا دِنہ مگر تمئے کامین ہُند یمہ تُہہ کران آسوہ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الْمُخْلَصِيْنَ مگر چھہٕ محفوظ عذابہٕ نشہٕ پروردگارہ سند خاص کرنہ آمت، ژارنہ آمتِ تہٕ شرکہ نشہٕ صاف وپاک کرنہ آمتِ بندہ۔ مراد چھہ تمو اندرہٕ اہلِ ایمان۔ تمو کٔر پزٕچ پیروی۔ اللہ تعالیٰ اَن کٔر تمِ مقبول تہٕ مخصوص بندہ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ رِزْقٌ مَّعْلُوْمٌ لہذا چھہ تہندِہ خاطرہ سۓ رِزق تیار تھاونہ آمُت یمیُک حال قرآن مجیدہ کین بِین سورَن اندر معلوم چھہ سُپدمُت فَوَاكِهُ وَهُمْ مُّكْرَمُوْنَ یعنی کم کم میوہ بیہ یِیہٕ تمن سیٹھاہ عزّت کرنہ فِيْ جَنّٰتِ النَّعِيْمِ نعمژن ہندین باغن اندر عَلٰى سُرُرٍ مُّتَقٰبِلِيْنَ تختن پیٹھ آسَن روبرواکھ اکس کُن بُتھ کٔرِتھ بِہتھ۔ يُطَافُ عَلَيْهِمْ بِكَاْسٍ مِّنْ مَّعِيْنٍ پھرِہ ناونہ یِن تمن نشہٕ پیالہ یم پکہ ونہ تہٕ جاری شرابِ طہورہ سیت بٔرِتھ آسَن۔ بَيْضَآءَ لَذَّةٍ لِّلشّٰرِبِيْنَ سۓ شراب آسہٕ سفید، صاف وشفاف۔ لیس چینس اندر چینہ والین سیٹھاہ لذیذ معلوم آسہٕ سپدان لَا فِيْهَا غَوْلٌ وَّلَا هُمْ عَنْهَا يُنْزَفُوْنَ نہ آسہٕ تتھ شرابس منز کلہ دود تہٕ نہ بے ہوشی تہٕ نہ عقلہٕ ہُند فتور وَعِنْدَهُمْ قٰصِرٰتُ الطَّرْفِ عِيْنٌ تمن نشہٕ آسَن بیہ تمے جورہ تمِ نہ پنہ نین مردَن ور آسے کانسہٕ کُن اَچھ تُلان آسَن۔ تمِ اَچھ آسنکھ وتچھہ وتچھہٕ۔ كَاَنَّهُنَّ بَيْضٌ مَّكْنُوْنٌ تمے جورہ آسَن سفیدر آچھِ کرنہ آمت پھرِہ تلک ٹھول ہشہٕ۔ یعنی گردو غبارہ نشہٕ محفوظ۔ توپتہ یلہٕ تمِ باایمان اَکس جلسس، مجمعس منز جمع آسَن فَاَقْبَلَ بَعْضُهُمْ عَلٰى بَعْضٍ يَّتَسَآءَلُوْنَ پَس پھیرن تہٕ متوجہ سَپدن اڈے اڈین کُن تہٕ اکھ اَکسِ ہین دنیاء ک

يَتَسَآءَلُونَ ﴿٥٠﴾ قَالَ قَآئِلٌ مِّنْهُمْ إِنِّى كَانَ لِى قَرِينٌ ﴿٥١﴾ يَقُولُ
أَءِنَّكَ لَمِنَ الْمُصَدِّقِينَ ﴿٥٢﴾ أَءِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَعِظَامًا
أَءِنَّا لَمَدِينُونَ ﴿٥٣﴾ قَالَ هَلْ أَنتُم مُّطَّلِعُونَ ﴿٥٤﴾ فَاطَّلَعَ
فَرَءَاهُ فِى سَوَآءِ الْجَحِيمِ ﴿٥٥﴾ قَالَ تَاللَّهِ إِن كِدتَّ لَتُرْدِينِ ﴿٥٦﴾
وَلَوْلَا نِعْمَةُ رَبِّى لَكُنتُ مِنَ الْمُحْضَرِينَ ﴿٥٧﴾ أَفَمَا نَحْنُ
بِمَيِّتِينَ ﴿٥٨﴾ إِلَّا مَوْتَتَنَا الْأُولَىٰ وَمَا نَحْنُ بِمُعَذَّبِينَ ﴿٥٩﴾ إِنَّ

---

حالاتھ پرژھنہ قَالَ قَآئِلٌ مِّنْهُمْ إِنِّى كَانَ لِى قَرِينٌ تمو منزہ ونہ اکھ وَنن وولاہ زِہ دنیاءس اندر اوس میہ اکھ مُلاقاتیا، مُشرک سُی اوس میہ بطور تعجب پرژھان يَقُولُ أَءِنَّكَ لَمِنَ الْمُصَدِّقِينَ سُہ اوس دپان میہ کیاہ ژہ چھُکھ یتھ کتھ تصدیق کران أَءِذَا مِتْنَا وَكُنَّا تُرَابًا وَعِظَامًا أَءِنَّا لَمَدِينُونَ اس یلہِ مَرو تو پتہ سپدو میٚژ تہ اَڈِجہ تو پتہ تِموہ اَس بیہِ زندہ کرنہ۔ کیاہ تو پتہ یِیا اَسہِ جزاو سزا دِنہِ۔ سُہ میون ملاقاتی اوس مرنہ پتہ بیہِ زندہ سپدنس مُنکر۔ سُہ آسہِ ضرور جہنّمس وو ژمت۔ قَالَ هَلْ أَنتُم مُّطَّلِعُونَ اللہ تعالیٰ سُند ارشاد سپدہ کہ اے جنتیو کیاہ تُھہ چھونہ سُہ کافر وُچھن یژھان اگر یژھانِ چھوہ توہہِ چھوہ تمیُک اجازت فَاطَّلَعَ فَرَءَاهُ فِى سَوَآءِ الْجَحِيمِ اتی دیہِ نظر سُہ جنتی، وچھِ لتس مُشرِک ملاقاتیس جہنّمس منز باگ دزان قَالَ تَاللَّهِ إِن كِدتَّ لَتُرْدِينِ دپیس قسم خدا ژیہ ہیژو تھس بہ تباہ کرن، ڈلہ تراون کھوہ ڈس منز۔ ژیہ ہیژو تھس بہ تہِ قیامتک مُنکر بناوُن۔ از آسہ ہا بہ تہِ ژے سیت عذابس گرفتار وَلَوْلَا نِعْمَةُ رَبِّى لَكُنتُ مِنَ الْمُحْضَرِينَ ہرگاہ نے میانس پروردگارہ سنز میہ پیٹھ مہربانی تہِ فضل آسہا بوہ تہِ آسا ژے سیت عذابس گرفتار۔ مگر خداین کور میہ پنُن بوڈ فضل۔ بوہ تھوونس صحیح اعتقادس پیٹھ قائم۔ تو پتہ وَنہِ یہ جنتی پنہ نین اہلِ مجلسَن کُن أَفَمَا نَحْنُ بِمَيِّتِينَ کیاہ وونِ چھنا اَسے جنتی مرہ وِ نین اندر زانہہ إِلَّا مَوْتَتَنَا الْأُولَىٰ مگر سُے مَرن یُس برونٹھ اکہ پھِرِ دنیاءس اَندر لبنہ آو۔ وَمَا نَحْنُ بِمُعَذَّبِينَ بیہِ ییہ نہ اَسہِ عذاب تہِ کرنہ زانہہ إِنَّ هَٰذَا لَهُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيمُ اللہ تعالیٰ چھُہ فرماوان

هٰذَا لَهُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ ﴿٦٠﴾ لِمِثْلِ هٰذَا فَلْيَعْمَلِ الْعٰمِلُوْنَ ﴿٦١﴾ اَذٰلِكَ خَيْرٌ نُّزُلًا اَمْ شَجَرَةُ الزَّقُّوْمِ ﴿٦٢﴾ اِنَّا جَعَلْنٰهَا فِتْنَةً لِّلظّٰلِمِيْنَ ﴿٦٣﴾ اِنَّهَا شَجَرَةٌ تَخْرُجُ فِيْٓ اَصْلِ الْجَحِيْمِ ﴿٦٤﴾ طَلْعُهَا كَاَنَّهٗ رُءُوْسُ الشَّيٰطِيْنِ ﴿٦٥﴾ فَاِنَّهُمْ لَاٰكِلُوْنَ مِنْهَا فَمَالِـُٔوْنَ مِنْهَا الْبُطُوْنَ ﴿٦٦﴾ ثُمَّ اِنَّ لَهُمْ عَلَيْهَا لَشَوْبًا مِّنْ حَمِيْمٍ ﴿٦٧﴾ ثُمَّ اِنَّ مَرْجِعَهُمْ لَاِلَى الْجَحِيْمِ ﴿٦٨﴾ اِنَّهُمْ اَلْفَوْا اٰبَآءَهُمْ ضَآلِّيْنَ ﴿٦٩﴾ فَهُمْ عَلٰٓى اٰثٰرِهِمْ

---

کہ جنتس اندر واتتھ روحانی تہ جسمانی نعمژہ حاصل سپدنہٕ، بے شک یہے گٔیہ بڈر ستگاری لِمِثْلِ هٰذَا فَلْيَعْمَلِ الْعٰمِلُوْنَ یژھی کامیابی خاطرہ گژھہ عمل کرہ وَنین ہنز عمل کرنِ، ایمان اَنُن تہ اطاعت کرن اَذٰلِكَ خَيْرٌ نُّزُلًا اَمْ شَجَرَةُ الزَّقُّوْمِ یہ جنّت تہ تمہٕ جنتچہ نعمژ چھا بہتر دعوت کِن بایمانَن ہندِہ خاطرہ کنہ زقومک کُل تمیک میوہ ٹیوٹھ تہ پھکہ لد چھہ کافرن ہندِہ خاطرہ اِنَّا جَعَلْنٰهَا فِتْنَةً لِّلظّٰلِمِيْنَ بے شک اَسہِ کورسہٕ زقومک کُل آخرتَس اندر عذابک ذریعہ بناونہٕ علاوہ ظالمن ہندِہ خاطرہ امتحانُک تہ آزمایشہِ ہُند سَبَب کہِ سہٕ کُل بوزت کرنہ تمِ تتھ پژھ کنہ اِنکار تہ استہزاء۔ چنانچہ تمو کافرو کور استہزاء، تہ اِنکارے۔ دپنہِ لگ کہِ کتہِ چھہ بوزمُت از تاں نارس اندر کُل آسُن۔ اللہ تعالیٰ چھُک فرماوان اِنَّهَا شَجَرَةٌ تَخْرُجُ فِيْٓ اَصْلِ الْجَحِيْمِ سو چھہ اکھ کُلاہ یُس کھوتمت چھہ جہنمہ کہِ ژھہِ تلہ نارہ منزے نارُک کُل کھوتمت۔ یتھ پاٹھ دنیاءس اندر نارس اندر اکہ خاص قسمکہِ گگرپادہ سپدان تہ نوان چھہ تمِن گگرن چھہِ "سمندر ونان" طَلْعُهَا كَاَنَّهٗ رُءُوْسُ الشَّيٰطِيْنِ تمیک پھل تہ میوہ آسہِ سرفہ کلہ ہی بدشکل تمی سیت پیہ کرنہ ظالمن ہنز دعوت فَاِنَّهُمْ لَاٰكِلُوْنَ مِنْهَا فَمَالِـُٔوْنَ مِنْهَا الْبُطُوْنَ بوچھہ سیت یلہِ بے تاب آسن سپدان پس آسن تمِ یوہے پھل کھیوان۔ تمی سیت آسن یڈ بران ثُمَّ اِنَّ لَهُمْ عَلَيْهَا لَشَوْبًا مِّنْ حَمِيْمٍ توپتہ یلہِ ترلیش آسکھ لگان تمِ آسن تتھ پیٹھ ہلہ ناونہ آمژ سر سخت تیز گرم آب یتھ سیت پال تہ پاکھ ملہ ناونہ آمُت آسہِ تریشہِ بدل چاونہ یوان ثُمَّ اِنَّ مَرْجِعَهُمْ لَاِلَى الْجَحِيْمِ توپتہ آسہِ

يُهْرَعُوْنَ ﴿٧٠﴾ وَلَقَدْ ضَلَّ قَبْلَهُمْ اَكْثَرُ الْاَوَّلِيْنَ ﴿٧١﴾ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا فِيْهِمْ مُّنْذِرِيْنَ ﴿٧٢﴾ فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُنْذَرِيْنَ ﴿٧٣﴾ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الْمُخْلَصِيْنَ ﴿٧٤﴾ وَلَقَدْ نَادٰىنَا نُوْحٌ فَلَنِعْمَ الْمُجِيْبُوْنَ ﴿٧٥﴾ وَنَجَّيْنٰهُ وَاَهْلَهٗ مِنَ الْكَرْبِ الْعَظِيْمِ ﴿٧٦﴾ وَجَعَلْنَا ذُرِّيَّتَهٗ هُمُ الْبٰقِيْنَ ﴿٧٧﴾ وَتَرَكْنَا عَلَيْهِ فِي الْاٰخِرِيْنَ ﴿٧٨﴾ سَلٰمٌ عَلٰى نُوْحٍ فِي الْعٰلَمِيْنَ ﴿٧٩﴾ اِنَّا كَذٰلِكَ نَجْزِي الْمُحْسِنِيْنَ ﴿٨٠﴾

---

تمن بيهِ واپس ٻُن نارِ جهنمس منز۔ يعني تتِ روزن بد ستور۔ يہ يُتھ عذاب كيازِ سَنا ييِھ كرنہ۔ تمِ كيا آسِ نہ خدايہ سندهِ ہدايہ موجب پکان بلکہ اِنَّهُمْ اَلْفَوْا اٰبَآءَهُمْ ضَآلِّيْنَ تمو لب پننِ مَال بڈٕ بب ڈلمت فَهُمْ عَلٰٓى اٰثٰرِهِمْ يُهْرَعُوْنَ پس آس تمِ تہ تمنے پتہ پتہ اَچھ وُٹھ دوران تمن اَرکہِ وقتہ کین کافرن برونٹھ تہِ وَلَقَدْ ضَلَّ قَبْلَهُمْ اَكْثَرُ الْاَوَّلِيْنَ بے شک ڈلمتِ آسِ برونٹھميو اَندرہ اکثر لوکھ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا فِيْهِمْ مُّنْذِرِيْنَ تو پتہ سوز آسہِ تمن منز بيم گرہ ون پيغمبر فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُنْذَرِيْنَ پس وچھ زہ تمن بيم بيم کرنہ آمتين ہُند انجام کياہ سپُد۔ کتھہ پاٹھ گئے تمِ عذابس گرفتار يُس عذاب تمن پيٹھ دنياسے منز کرنہ آوَ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الْمُخْلَصِيْنَ مگر بچاۓ تمہِ عذاب دُنيوی نشہِ الله تعالٰی سند خاص گرنہ آمتِ بندہ وَلَقَدْ نَادٰىنَا نُوْحٌ فَلَنِعْمَ الْمُجِيْبُوْنَ بتحقيق بيہِ كور اَسہِ نشہِ فرياد نوح عليہ السلامَن يارى تہ مدتہ خاطرہ۔ يعنے دُعا مونگکھ۔ پس کٔر اَسہِ تمن فريادرسی کيازہ اَسے چھہِ رٹ فريادرسی کرہ ون وَنَجَّيْنٰهُ وَاَهْلَهٗ مِنَ الْكَرْبِ الْعَظِيْمِ تو پتہ دُيت اَسہِ نجات لس بيہِ تهندين تابعن بجہِ پريشانی تہ غمہ نشہِ يعنی کافرن ہندہِ ايذاء و تکليفہ نشہِ۔ بيہِ اِنکارِ تکذيبہ نشہِ۔ طوفانہ سيت کٔرِ تمِ کافر غرق۔ تمن تہ تهندين تابعن دُيت نجات وَجَعَلْنَا ذُرِّيَّتَهٗ هُمُ الْبٰقِيْنَ تو پتہ کٔر اَسہِ تهنز ذريّت پتھ گُن باقی روزہ وِن۔ بيہِ كانسہِ ہُند نسل رودنہ پتھ گُن باقی وَتَرَكْنَا عَلَيْهِ فِي الْاٰخِرِيْنَ اَسہِ تھوو تهند ذکرِ خير پتہ يوہ نين منزوار يِمس کالس تان سَلٰمٌ عَلٰى نُوْحٍ فِي الْعٰلَمِيْنَ پريتھ طرفہ آسہِ لوکن ہنزن

إِنَّهُۥ مِنْ عِبَادِنَا ٱلْمُؤْمِنِينَ ﴿٨١﴾ ثُمَّ أَغْرَقْنَا ٱلْءَاخَرِينَ ﴿٨٢﴾

وَإِنَّ مِن شِيعَتِهِۦ لَإِبْرَٰهِيمَ ﴿٨٣﴾ إِذْ جَآءَ رَبَّهُۥ بِقَلْبٍ سَلِيمٍ ﴿٨٤﴾

إِذْ قَالَ لِأَبِيهِ وَقَوْمِهِۦ مَاذَا تَعْبُدُونَ ﴿٨٥﴾ أَئِفْكًا ءَالِهَةً دُونَ ٱللَّهِ

تُرِيدُونَ ﴿٨٦﴾ فَمَا ظَنُّكُم بِرَبِّ ٱلْعَٰلَمِينَ ﴿٨٧﴾ فَنَظَرَ نَظْرَةً فِى ٱلنُّجُومِ ﴿٨٨﴾

فَقَالَ إِنِّى سَقِيمٌ ﴿٨٩﴾ فَتَوَلَّوْا۟ عَنْهُ مُدْبِرِينَ ﴿٩٠﴾ فَرَاغَ إِلَىٰٓ ءَالِهَتِهِمْ

---

زيون پيٺ يہ ڪٿھ جاري ڪہ سلامتي بوين حضرتِ نوحؑ س عالمين منز۔ خدائرِن ڪہ تم تمام جن انسان تہ ملايڪِ روزِن تمن پيٺھ سلام سوزان إِنَّا كَذَٰلِكَ نَجْزِى ٱلْمُحْسِنِينَ اَسے چھِ تِتھے عوِض نيڪو ڪارن دِوان إِنَّهُۥ مِنْ عِبَادِنَا ٱلْمُؤْمِنِينَ سُہ نوح عليہ السّلام چھُہ سانيو با ايمان بندوٚ اندرہ ثُمَّ أَغْرَقْنَا ٱلْءَاخَرِينَ تو پتہ پھاٹو اَسہِ باقي ساري لوکھ يمو تھنز نافرماني ڪٔر۔ وَإِنَّ مِن شِيعَتِهِۦ لَإِبْرَٰهِيمَ بيہ چھُہ بے شڪ نوح عليہ السّلام سنزہ وَتہِ پکہ وِنيو اَندرہ۔ تمن سيت اصولن اندر اتفاق ڪرہ وِنيو اندرہ ابراهيم عليہ السّلام تہِ إِذْ جَآءَ رَبَّهُۥ بِقَلْبٍ سَلِيمٍ تھنُد قصّہ تہِ چھُہ قابلِ ذِڪر۔ يلہِ سُہ پنہ نِس پروردگارس ڪُن متوجہ سپُد صاف دِلہ سيت يُس يچھ شِرڪي اعتقادو تہ رياء نشہِ پاڪ اوس يتھ منز خالِص توحيد تہ ڪامِل اخلاص موجود اوس إِذْ قَالَ لِأَبِيهِ وَقَوْمِهِۦ مَاذَا تَعْبُدُونَ يلہِ تمو پنہ نِس مالِس بيہِ پنہ نِس قومَس دوپ يم بُت پرست آسِ ڪہِ تُہہ ڪٿھ واهيات چيزس چھوِہ پرستش ڪران أَئِفْكًا ءَالِهَةً دُونَ ٱللَّهِ تُرِيدُونَ ڪياہ اپزين ميژہ ين باطِل معبودن چھوِہ تُہہ معبود بناوُن يژھان معبودِ برحقس ورآے فَمَا ظَنُّكُم بِرَبِّ ٱلْعَٰلَمِينَ تُہُند ڪياہ خيال چھُہ ربّ العالمينس مُتعلق۔ تُہہ ہے چھوِہ تَس عبادت ڪرنِ ترامژ تو ہيہ چھا تھندس معبود آسنس منز ڪانہہ شڪ۔ سُہ شڪ ڪٔرِ ودور۔ امي قسمُڪ بحث و مُباحثہ اوس تمن منز آسان۔ اڪہ وَقتہ ووت تمن اڪہ ميلڪ تہ عرُسڪ موقہ۔ تمو لوگوون تمن ڪہ تُہہ تہِ سپدِ ونا اَتھ سانِس ميلس منز شامِل۔ تُہند غرض اوس ڪہ تمن پيٺھ پيہ مالہ ڪہ شان و شوڪتُڪ اثر فَنَظَرَ نَظْرَةً فِى ٱلنُّجُومِ تو پتہ دژ اڪھ نظر ابراهيم عليہِ السلام ستارن ڪُن فَقَالَ إِنِّى سَقِيمٌ تو پتہ دُوپکھ بہ چھُس بيمار لهذا هيڪنہ بہ ميلس تُہندِس شامِل

فَقَالَ اَلَا تَاْكُلُوْنَ ﴿٩١﴾ مَا لَكُمْ لَا تَنْطِقُوْنَ ﴿٩٢﴾ فَرَاغَ عَلَيْهِمْ ضَرْبًۢا بِالْيَمِيْنِ ﴿٩٣﴾ فَاَقْبَلُوْٓا اِلَيْهِ يَزِفُّوْنَ ﴿٩٤﴾ قَالَ اَتَعْبُدُوْنَ مَا تَنْحِتُوْنَ ﴿٩٥﴾ وَاللّٰهُ خَلَقَكُمْ وَمَا تَعْمَلُوْنَ ﴿٩٦﴾ قَالُوا ابْنُوْا لَهٗ بُنْيَانًا فَاَلْقُوْهُ فِي الْجَحِيْمِ ﴿٩٧﴾ فَاَرَادُوْا بِهٖ كَيْدًا فَجَعَلْنٰهُمُ الْاَسْفَلِيْنَ ﴿٩٨﴾

---

سپِد تھ۔ ﮬُن جو ارادو اوس کہ تمِ گڙھن تہ ميه ﺑﻴﻪِ موقعہ تھندين پوتلين مسمار کرہ ٹُک۔ تمی موکھ کورُکھ حيلہ سِتارن ﮔُن ڍِڙکھ نظر۔ تمن لوکن اوس سِتارن ﮬُند اعتقاد۔ تمہِ موکھ ﮬيوک نہ تموکينہہ جواب وُنتھ۔ ﮬُند غرض اوس حضرتِ خالقِ حقيقي سنز کمالِ عظمت متحضر کرن فَتَوَلَّوْا عَنْهُ مُدْبِرِيْنَ تو پتہ گے تمِ لوکھ تمن متتے ترآوِتھ پننہِ کامہِ ﮔُن فَرَاغَ اِلٰٓى اٰلِهَتِهِمْ توپتہ ژاوِ ابراھيم عليہ السلام تھندس بُت خانس منز پوتلين نشہِ۔ تمن نشہِ وچھکھ وارياہ کھينہ چينک چيز لوکو تھوومتِ فَقَالَ اَلَا تَاْكُلُوْنَ پوتلين ﮔُن دوپُکھ تُہہ کيازِہ چھوہ نہ تمِ چيز کھيوان۔ يلہِ نہ تمو تورہ کينہہ تہِ جواب دوپُکھ مَا لَكُمْ لَا تَنْطِقُوْنَ تُوہہِ کياہ گووہ تُہہ چھوہ نہ کينہ کتھاہ کران فَرَاغَ عَلَيْهِمْ ضَرْبًۢا بِالْيَمِيْنِ توپتہ ﮬيوتکھ تمن دچھنہِ اتھ سيت زورہ لائن۔ يوتان تمن نيک کورُکھ مکرڻہ سيت فَاَقْبَلُوْٓا اِلَيْهِ يَزِفُّوْنَ توپتہ آے تمِ لوکھ واپس تمن ﮔُن دوران بانبر يمت تہ ژکھ ﮬيتھ قَالَ اَتَعْبُدُوْنَ مَا تَنْحِتُوْنَ ابراھيم عليہ السلاّمن دوپُکھ اے لوکو کياہ تُہہ چھوہ پرستش کران تمنے چيزن ﮬنز يمِ تُہہ پانَے پننہ نيوا تھو گران چھوَکھ۔ يُس چيز پانہ تُوہہِ ﮔُن محتاج آسہِ سُے شوبيا خدا وَاللّٰهُ خَلَقَكُمْ وَمَا تَعْمَلُوْنَ حالانکہِ اللہ تعالٰی ان چھوہ تُہہ تہ بيہ تمِ چيز تُہہ بناوان چھوَکھ تمِ تہِ پادہ کرِمتِ۔ تمِ گئے لاجواب۔ تمن پھورنہ کينہہ تہِ قَالُوا ابْنُوْا لَهٗ بُنْيَانًا فَاَلْقُوْهُ فِي الْجَحِيْمِ پانہ وانِ لگ تمِ دپنہِ وونِ کرِو تيارام سندِہ خاطرہ کوندہ ﮬش اکھ عمارتھاہ۔ يتھ منز زالو نار۔ توپتہ ترآويون سُہ تتھِ دزہ وُنس نارس منزہ۔ فَاَرَادُوْا بِهٖ كَيْدًا فَجَعَلْنٰهُمُ الْاَسْفَلِيْنَ پس يڙھو تمو ابراھيم عليہ السلامَس نسبت اکھ حيلہ ﮔرن تکليف واتناو نُک مگر اسہِ کرِ تمِ ذليل تہ خوار۔ سُہ نار سپُد سانہ حکمتہ سيت تمن پيٹھ گُل تہ گلزار پننہ قومکہ امہ ورتاوہ سيت يلہ ابراھيم عليہ السلاّم تمن نشہِ

وَقَالَ اِنِّیْ ذَاهِبٌ اِلٰی رَبِّیْ سَیَهْدِیْنِ ﴿۹۹﴾ رَبِّ هَبْ لِیْ مِنَ الصّٰلِحِیْنَ ﴿۱۰۰﴾ فَبَشَّرْنٰهُ بِغُلٰمٍ حَلِیْمٍ ﴿۱۰۱﴾ فَلَمَّا بَلَغَ مَعَهُ السَّعْیَ قَالَ یٰبُنَیَّ اِنِّیْۤ اَرٰی فِی الْمَنَامِ اَنِّیْۤ اَذْبَحُكَ فَانْظُرْ مَاذَا تَرٰی ؕ قَالَ یٰۤاَبَتِ افْعَلْ مَا تُؤْمَرُ ۫ سَتَجِدُنِیْۤ اِنْ شَآءَ اللّٰهُ مِنَ الصّٰبِرِیْنَ ﴿۱۰۲﴾ فَلَمَّاۤ اَسْلَمَا وَتَلَّهٗ لِلْجَبِیْنِ ۚ﴿۱۰۳﴾ وَنَادَیْنٰهُ اَنْ یّٰۤاِبْرٰهِیْمُ ﴿۱۰۴﴾ قَدْ صَدَّقْتَ الرُّءْیَا ۚ اِنَّا كَذٰلِكَ نَجْزِی الْمُحْسِنِیْنَ ﴿۱۰۵﴾ اِنَّ

---

مایُوس سپُد وَقَالَ اِنِّیْ ذَاهِبٌ اِلٰی رَبِّیْ سَیَهْدِیْنِ تمو دوپ وون کرہ بو یمہِ شہرہ نِشہِ ہجرت۔ بو گڑھہ پنہ نِس پروردگارس نِشہِ۔ سُہ ہاوِہ میہ وَتھ کُنہِ رژہ جایہِ گُن۔ توّتے گڑھہ بہ۔ تمہِ پتہ واتناوی تمِ اللّٰہ تعالٰی ان شہرِ شامس منز۔ توت واتِتھ کور تمو دُعا رَبِّ هَبْ لِیْ مِنَ الصّٰلِحِیْنَ پروردگارا میہ کرتہ وَونِ فرزنداہ عطا نیکو کارَو اندرہ فَبَشَّرْنٰهُ بِغُلٰمٍ حَلِیْمٍ توپتہ فرموواَسہِ تمِن بشارت اَکِس نرم مزاج فرزندہ سنز فَلَمَّا بَلَغَ مَعَهُ السَّعْیَ قَالَ یٰبُنَیَّ اِنِّیْۤ اَرٰی فِی الْمَنَامِ اَنِّیْۤ اَذْبَحُكَ فَانْظُرْ مَاذَا تَرٰی ادہ یلہِ سُہ فرزندہ ووت تمِن سیت اورہ یور پھیرنچہِ عُمرہ دوپ ہَس اے فرزند میہ وچھُ خوابس منز زِ بہ ژیہ کھش کران خدایہِ سندِہ حُکمہ وونی وچھ ژہ چانی رائے کیاہ چھہ قَالَ یٰۤاَبَتِ افْعَلْ مَا تُؤْمَرُ سَتَجِدُنِیْۤ اِنْ شَآءَ اللّٰهُ مِنَ الصّٰبِرِیْنَ فرزندن دوپُھ اے میانہِ بابہ صابہ تُہہ کرِو حض سو کام یمیُک توہہِ حُکم کرنہ آو۔ میون مہ برِ واندیشہِ کینہہ تہِ۔ خدایِنے یوژھ میہ لبِو تُہہ صبر کرہ وِنیو اَندرہ فَلَمَّاۤ اَسْلَمَا وَتَلَّهٗ لِلْجَبِیْنِ توپتہ یلہِ تمو دوشوے خدایہِ سُند حُکم مون توپتہ سووُ تموسُہ فرزند ذبح کرنہ خاطرہ بُتھِ کنی تو پتہ ہُرُژ کھ گردنہ شراکھ وِاینی وَنَادَیْنٰهُ اَنْ یّٰۤاِبْرٰهِیْمُ * قَدْ صَدَّقْتَ الرُّءْیَا اِنَّا كَذٰلِكَ نَجْزِی الْمُحْسِنِیْنَ تاَنِ کورّاَسہِ آلو تمِن اے ابراہیم مرحبا۔ بے شک توہہِ ہووُوہ پنُن خواب عملاً پوز۔ وون چھہِ اَسِ حُکم کران وونِ تراَویون اسماعیل علیہ السلام تمو ترووسُہ۔ تُہند زُونچوَ تمہِ علاوہ سپُد تمن دوشونی ماَلِ پتھرَن تُھند مرتبہ حاصل۔ اَسِ چھہِ تِتھے کُنہ رژ مزوری دِوان نیکو کارَن اِنَّ هٰذَا لَهُوَ الْبَلٰٓؤُا الْمُبِیْنُ

إِنَّ هَٰذَا لَهُوَ الْبَلَاءُ الْمُبِينُ ﴿١٠٦﴾ وَفَدَيْنَاهُ بِذِبْحٍ عَظِيمٍ ﴿١٠٧﴾
وَتَرَكْنَا عَلَيْهِ فِي الْآخِرِينَ ﴿١٠٨﴾ سَلَامٌ عَلَىٰ إِبْرَاهِيمَ ﴿١٠٩﴾ كَذَٰلِكَ
نَجْزِي الْمُحْسِنِينَ ﴿١١٠﴾ إِنَّهُ مِنْ عِبَادِنَا الْمُؤْمِنِينَ ﴿١١١﴾ وَبَشَّرْنَاهُ
بِإِسْحَاقَ نَبِيًّا مِنَ الصَّالِحِينَ ﴿١١٢﴾ وَبَارَكْنَا عَلَيْهِ وَعَلَىٰ إِسْحَاقَ ۚ وَ
مِنْ ذُرِّيَّتِهِمَا مُحْسِنٌ وَظَالِمٌ لِنَفْسِهِ مُبِينٌ ﴿١١٣﴾ وَلَقَدْ مَنَنَّا عَلَىٰ
مُوسَىٰ وَهَارُونَ ﴿١١٤﴾ وَنَجَّيْنَاهُمَا وَقَوْمَهُمَا مِنَ الْكَرْبِ الْعَظِيمِ ﴿١١٥﴾
وَنَصَرْنَاهُمْ فَكَانُوا هُمُ الْغَالِبِينَ ﴿١١٦﴾ وَآتَيْنَاهُمَا الْكِتَابَ الْمُسْتَبِينَ ﴿١١٧﴾

---

بے شک حقیقتس منزاوس بیہ تہندہِ خاطرہ اکھ بوڈا امتحان۔ یتھ منز تمِ کامیاب سپد وَفَدَيْنَاهُ بِذِبْحٍ عَظِيمٍ
بیہ دُیت اَسہِ اَکھ بوڈ جانوراہ تمِن بدلہ ذبح کرنہ خاطرہ۔ وَتَرَكْنَا عَلَيْهِ فِي الْآخِرِينَ بیہ تھووا اَسہِ باقی پتہ
یوہ ونینِ ہندہ خاطرہ تُہند ذکرِ خیر۔ تمِ آسن وَنان سَلَامٌ عَلَىٰ إِبْرَاهِيمَ سلام بوہِن حضرتِ ابراہیمس
پیٹھ۔ چنانچہِ از تان چھہِ تمن پتہ یوہ ون تہندہِ نامِ مُبارکہِ پتہ ونان علیہ السلام كَذَٰلِكَ نَجْزِي الْمُحْسِنِينَ
یتھے کنہ چھہِ اَسِ نیکو کارن مزور تہ صلہ دِوان إِنَّهُ مِنْ عِبَادِنَا الْمُؤْمِنِينَ بیشک چھہ سُہ سانیو ایمان
داربند وَاَندرہِ وَبَشَّرْنَاهُ بِإِسْحَاقَ نَبِيًّا مِنَ الصَّالِحِينَ بیہ دژ اَسہِ بشارت تمن حضرتِ اِسحٰقہ سنز۔ سُہ تہِ
آسہِ پیغمبر نیکو کارو اَندرہ وَبَارَكْنَا عَلَيْهِ وَعَلَىٰ إِسْحَاقَ بیہ کرہِ اسہِ تمن پیٹھ بیہ اِسحاق علیہ السّلامس پیٹھ
برکژ نازل وَمِنْ ذُرِّيَّتِهِمَا مُحْسِنٌ وَظَالِمٌ لِنَفْسِهِ مُبِينٌ بیہ کُر اَسہِ تہندہ ذرّیہ اَندرہ بعضے نیکو کار تہ بعضے
تمِ یم پتھہ عملو سبہ پنہ نَس پانس نئن پاٹھ ظلم کرہ ون اَسِ وَلَقَدْ مَنَنَّا عَلَىٰ مُوسَىٰ وَهَارُونَ پتز پاٹھ بیہ
کُر اَسہِ احسان موسیٰ علیہ السلامس بیہِ ہارون علیہ السلامس پیٹھ وَنَجَّيْنَاهُمَا وَقَوْمَهُمَا مِنَ الْكَرْبِ الْعَظِيمِ
بیہ دیُت نجات اَسہِ تمن دوشون بیہ تہندِس قومَس یعنی بنی اسرائیلن بڈہ غمہ اکہ نِشہِ وَنَصَرْنَاهُمْ فَكَانُوا
هُمُ الْغَالِبِينَ بیہ کُر اَسہِ تمن یاری تہ مدد فرعونس مقابلہ۔ پس سپد تمِ تمی تس دشمنس پیٹھ غالب

وَهَدَيْنٰهُمَا الصِّرَاطَ الْمُسْتَقِيْمَ ﴿١١٨﴾ وَتَرَكْنَا عَلَيْهِمَا فِي
الْاٰخِرِيْنَ ﴿١١٩﴾ سَلٰمٌ عَلٰى مُوْسٰى وَهٰرُوْنَ ﴿١٢٠﴾ اِنَّا كَذٰلِكَ نَجْزِي
الْمُحْسِنِيْنَ ﴿١٢١﴾ اِنَّهُمَا مِنْ عِبَادِنَا الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿١٢٢﴾ وَاِنَّ اِلْيَاسَ
لَمِنَ الْمُرْسَلِيْنَ ﴿١٢٣﴾ اِذْ قَالَ لِقَوْمِهٖٓ اَلَا تَتَّقُوْنَ ﴿١٢٤﴾ اَتَدْعُوْنَ
بَعْلًا وَّتَذَرُوْنَ اَحْسَنَ الْخٰلِقِيْنَ ﴿١٢٥﴾ اللّٰهَ رَبَّكُمْ وَرَبَّ اٰبَآئِكُمُ
الْاَوَّلِيْنَ ﴿١٢٦﴾ فَكَذَّبُوْهُ فَاِنَّهُمْ لَمُحْضَرُوْنَ ﴿١٢٧﴾ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ
الْمُخْلَصِيْنَ ﴿١٢٨﴾ وَتَرَكْنَا عَلَيْهِ فِي الْاٰخِرِيْنَ ﴿١٢٩﴾ سَلٰمٌ عَلٰى

---

وَاٰتَيْنٰهُمَا الْكِتٰبَ الْمُسْتَبِيْنَ * وَهَدَيْنٰهُمَا الصِّرَاطَ الْمُسْتَقِيْمَ بیہ کٔر عطا اَسہ تمن دوشونی واضح کتاب
بیہ ہاوکھ تمن سۄز وتھ وَتَرَكْنَا عَلَيْهِمَا فِي الْاٰخِرِيْنَ بیہِ تھوو تہندِ خاطرہ پتہ یوہ وٕنین منز ذِکرِ
خیٚر۔ پتہ یوہ ونِ چھہِ وَنان سَلٰمٌ عَلٰى مُوْسٰى وَهٰرُوْنَ سلام بوین حضرتِ موسیٰ اَس تہ حضرت
ہارونس پیٹھ اِنَّا كَذٰلِكَ نَجْزِي الْمُحْسِنِيْنَ اَسِ چھہِ یتھےٚ کنہ نیکوکارن مزوری عطا کران اِنَّهُمَا مِنْ
عِبَادِنَا الْمُؤْمِنِيْنَ تمِ تہِ چھہِ دوشوے سانیو ایمان دار بندٕ و اَندرہ وَاِنَّ اِلْيَاسَ لَمِنَ الْمُرْسَلِيْنَ بیہ چھہ
حضرتِ اِلیاس تہِ پیغمبرو اَندرہِ اِذْ قَالَ لِقَوْمِهٖٓ اَلَا تَتَّقُوْنَ یلہِ تموٚ دوپ قومس پنہٕ نس کیاہ تہٕ چھوہ
ناکھوژان خدایس۔ اَتَدْعُوْنَ بَعْلًا وَّتَذَرُوْنَ اَحْسَنَ الْخٰلِقِيْنَ کیاہ تہٕ چھوہ اَکس بوٗتلس (یَس
ناو چھہ بَعل پرستش کران تہ نادِوان ۔ یُس پروردگار رُت پادہ کرہ وُن چھہ تس پرستش کرنِ چھوہ
تراوان۔ اللّٰهَ رَبَّكُمْ وَرَبَّ اٰبَآئِكُمُ الْاَوَّلِيْنَ سو گوو معبودِ برحق یُس تہند پروردگار تہ تہندین مالین بُڈ
بَبن ہُند پروردگار چھہ فَكَذَّبُوْهُ فَاِنَّهُمْ لَمُحْضَرُوْنَ تموٚ تہِ زون سہ اپز۔ پس ین تمِ تہِ گرفتار کٔرِ تھ
عذابہ خاطرہ حاضرِ کرنہ قیامتک دوہ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الْمُخْلَصِيْنَ مگر یِن نہ رٹنہ ژارنہ آمت بندہِ
وَتَرَكْنَا عَلَيْهِ فِي الْاٰخِرِيْنَ بیہِ تھاوِ اَسہِ باقی پتہ یوہ وٕنین اندر تُہند ذِکرِ خیٚر تمِ اَس وَنان سَلٰمٌ عَلٰى

اِلْ یَاسِیْنَ ﴿۱۳۰﴾ اِنَّا كَذٰلِكَ نَجْزِی الْمُحْسِنِیْنَ ﴿۱۳۱﴾ اِنَّهٗ مِنْ عِبَادِنَا الْمُؤْمِنِیْنَ ﴿۱۳۲﴾ وَاِنَّ لُوْطًا لَّمِنَ الْمُرْسَلِیْنَ ﴿۱۳۳﴾ اِذْ نَجَّیْنٰهُ وَاَهْلَهٗۤ اَجْمَعِیْنَ ﴿۱۳۴﴾ اِلَّا عَجُوْزًا فِی الْغٰبِرِیْنَ ﴿۱۳۵﴾ ثُمَّ دَمَّرْنَا الْاٰخَرِیْنَ ﴿۱۳۶﴾ وَاِنَّكُمْ لَتَمُرُّوْنَ عَلَیْهِمْ مُّصْبِحِیْنَ ﴿۱۳۷﴾ وَبِالَّیْلِ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿۱۳۸﴾ وَاِنَّ یُوْنُسَ لَمِنَ الْمُرْسَلِیْنَ ﴿۱۳۹﴾ اِذْ اَبَقَ اِلَی

---

اِلْ یَاسِیْنَ سلام بوِین حضرتِ الیاس پیٹھ اِنَّا كَذٰلِكَ نَجْزِی الْمُحْسِنِیْنَ یتھے پاٹھِ چھہِ اَسِ نیکو کارَن رٔژ مزوری عطا کران اِنَّهٗ مِنْ عِبَادِنَا الْمُؤْمِنِیْنَ سُہ حضرتِ الیاس تہِ چھہ سانیو ایمان دار بنٛدو اَندرہ وَاِنَّ لُوْطًا لَّمِنَ الْمُرْسَلِیْنَ بیہِ چھہ پزٕ پأٹھ حضرت لوط تہِ پیغمبر اَندرہ اِذْ نَجَّیْنٰهُ وَاَهْلَهٗۤ اَجْمَعِیْنَ یلہ اَسہِ تِمن بیہِ تٔہندِس سارَسے عیالَس نجات دیت۔ عذابہٕ نشہِ اِلَّا عَجُوْزًا فِی الْغٰبِرِیْنَ مگر نہ تہنزٕ وزنانو، اہلِ بیتو اَندرہ اَکس بجہِ زنانہِ۔ سو روز تتی عذابَس منز روزَن والین سیت۔ ثُمَّ دَمَّرْنَا الْاٰخَرِیْنَ تو پتہ کڈ اَسہِ باقی لوکن ہنز بیخ۔ تمِ گامِ ساری تمن کور تلگ پیٹھ وَاِنَّكُمْ لَتَمُرُّوْنَ عَلَیْهِمْ مُّصْبِحِیْنَ * وَبِالَّیْلِ اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ تو پتہِ چھوہ اَی مکہ کیو لوکو تہنزٕ و بستیو کِن صُبحس یا رات گیت پکان یلہِ تُہہ شامَس کُن سفر کران چھوہ۔ کیاہ توہہِ چھُنا فکرِ تران نافرمان لوکن ہُند انجام کیاہ چھہ سپُدمُت وَاِنَّ یُوْنُسَ لَمِنَ الْمُرْسَلِیْنَ بیہِ چھہ یونس علیہ السلام تہِ بے شک پیغمبرو اَندرہ۔ تُہند تمہِ وقتک قصہ تہِ چھہ قابلِ ذِکر۔ یلہِ تمو پنہ نِس قومَس ایمان نہ انِنہ موکھ خدایہِ سندہ حُکمہ عذاب یِنک وعدہ کور۔ تو پتہ درای پانہ تمہِ شہرہ نشہِ۔ تمہِ دوہہ عذابک وعدہ اوس تمہِ دوہہ یلہِ عذاب نازِل سپد نہٕ آثار ہیتِن سپدن قومن ہیوت یونس علیہ السلام ژھانڈُن ایمان انِنکہِ ارادہ یلہِ نہ یہ تم لبھ کنہِ تہِ ساروے کور متفقہ طور رجوع بخدا اسیٹھاہ کٔرِ کھ گریہ وزاری۔ بیہِ اوکھ بصدقِ دِل ایمان، مجمل پاٹھی۔ چنانچہِ عذاب دراو پتھ۔ یونس علیہ السلامَس سپز اَمہِ واقعِ خبر تمِ ورائے پننہِ اجتہادہ سیت خدایہِ سندہِ صریح اجازۃ درائے تو پتہ کورُکھ ارادہ کُنہ دور جایہِ گژھہ نُک اِذْ اَبَقَ اِلَی الْفُلْكِ الْمَشْحُوْنِ تو پتہ گئے ژلتھ اَمہِ جایہِ نشہِ۔ واتِ اَکس مسافرو سیت بَرٕ تھ ناوِہ پیٹھ۔ تمِن ہوٗوکھ اشارہ۔ تمو رٹ ناوٕ۔ تو پتہ سپد تم تتھ ناوِہ منز سوار ہناہ گئیہِ۔

الْفُلْكِ الْمَشْحُوْنِ ﴿۱۴۰﴾ فَسَاهَمَ فَكَانَ مِنَ الْمُدْحَضِيْنَ ﴿۱۴۱﴾ فَالْتَقَمَهُ الْحُوْتُ وَهُوَ مُلِيْمٌ ﴿۱۴۲﴾ فَلَوْلَآ اَنَّهٗ كَانَ مِنَ الْمُسَبِّحِيْنَ ﴿۱۴۳﴾ لَلَبِثَ فِيْ بَطْنِهٖٓ اِلٰى يَوْمِ يُبْعَثُوْنَ ﴿۱۴۴﴾ فَنَبَذْنٰهُ بِالْعَرَآءِ وَهُوَ سَقِيْمٌ ﴿۱۴۵﴾ وَاَنْۢبَتْنَا عَلَيْهِ شَجَرَةً مِّنْ يَّقْطِيْنٍ ﴿۱۴۶﴾ وَاَرْسَلْنٰهُ اِلٰى

---

یکدم وو تھ سمندرس منز طوفان۔ ناوِ ہانژوو نہھ اَسہ منز چھہ کُس تام یُس تازہ قصوروار چھہ۔ سُہ شخص پیہِ اَسہِ ناوِ نِشہِ الگ کرن ۔ ادہ ہمہِ طوفان نتہ چھہ اَسہِ سارِ نے پھٹہ نک خطرہ فَسَاهَمَ فَكَانَ مِنَ الْمُدْحَضِيْنَ سُہ قصورواہ معین کرنہ خاطرہ ترا وکھ چیرہ ۔ چیرین اندر دراو یونس علیہ السلامے خطاوار ۔ تو پتہ کور۔ تموپُن پان دریاوس منز تراونہ خاطرہ پیش۔ دوپہکھ واقعی چھُس بوی پنہ نِس آغس نِشہِ بلا اجازت ژولمت۔ تراوِ ومیہ آبس اندر تمن اوس خیال دریاوک کنارہ چھنہ زیادہ دور۔ یہ وایہ ژھانٹھ تو پتہ کھسہ بٹھس پیٹھ۔ چنانچہ تمِ آے تراونہ حسب معمول دریاوس اندر۔ مگر یتھے تمو دریاوس اندر ووتھ لائے۔ خدایہ سندہ حُکمہ آیہ اکھ گاڑاہ۔ تمی کور تمن لُقمہِ تہ تو پتہ ننگہ لاوِن۔ یک دم پیچ ناوَ۔ فَالْتَقَمَهُ الْحُوْتُ وَهُوَ مُلِيْمٌ تو پتہ نِنگل تمِ اکہ گاڑہ یتھ حالس کہِ تمِ آس پانس ملامتھ کران پنہ نِس قصورس پیٹھ فَلَوْلَآ اَنَّهٗ كَانَ مِنَ الْمُسَبِّحِيْنَ یُس نے تم آسہن تسبیح پرہ ونیو اَندرہ یعنے نماز پرہ ونیو اَندرہ۔ چنانچہِ گاڑہِ ہندس کریہہ ماژس پیٹھ ڈیت تمو سجدہ تتھ منز پُورکھ لا اِلٰه اِلَّا اَنتَ سُبحَانَكَ اِنّی كُنتُ مِنَ الظّالِمِینَ لَلَبِثَ فِيْ بَطْنِهٖٓ اِلٰى يَوْمِ يُبْعَثُوْنَ نتہ روزہ ہن تمِ گاڑہ ہنزہ یڈ منز قیامتس تانی۔ یمہِ دوہہ لُکھ قبرو منزہ کڈنہ یہن۔ تمو ییلہِ زیوہ سیت تسبیح واستغفار پور دِلہ سیت ندامت تہ توبہ کور فَنَبَذْنٰهُ بِالْعَرَآءِ وَهُوَ سَقِيْمٌ تو پتہ تراوی اَسہِ تمِ تمہِ کی برکتہ میدانس گُن۔ یتھ منز نہ کانہہ کلاہ نہ سایک کانہہ چیزاہ اوس بحالیکہ تمِ آس گاڑہِ ہنزِ یڈ منز آب و ہَواتہ ضروریاتِ زندگی خاطر خواہ میسّر نہ سپدنہ موکھ۔ بیمار سپدمت وَاَنْۢبَتْنَا عَلَيْهِ شَجَرَةً مِّنْ يَّقْطِيْنٍ بیہِ کھور اَسہِ تمن نِشہِ تاپہ نِشہِ محفوظ روزنہ خاطرہ۔ مشادی اکہِ کُل۔ کیازہِ تمک وَتھر چھہِ بڈ تہ کُشادہ آسان۔ بیہِ واتناواَسہِ تمن نِشن اکھ جنگلی ژھاوج، یوسہ تمن دود چاوان اس وَاَرْسَلْنٰهُ اِلٰى مِائَةِ اَلْفٍ

مِائَةِ اَلْفٍ اَوْ يَزِيْدُوْنَ ﴿۱۴۷﴾ فَاٰمَنُوْا فَمَتَّعْنٰهُمْ اِلٰى حِيْنٍ ﴿۱۴۸﴾
فَاسْتَفْتِهِمْ اَلِرَبِّكَ الْبَنَاتُ وَلَهُمُ الْبَنُوْنَ ﴿۱۴۹﴾ اَمْ خَلَقْنَا الْمَلٰٓئِكَةَ
اِنَاثًا وَّهُمْ شٰهِدُوْنَ ﴿۱۵۰﴾ اَلَآ اِنَّهُمْ مِّنْ اِفْكِهِمْ لَيَقُوْلُوْنَ ﴿۱۵۱﴾
وَلَدَ اللّٰهُ ۙ وَاِنَّهُمْ لَكٰذِبُوْنَ ﴿۱۵۲﴾ اَصْطَفَى الْبَنَاتِ عَلَى الْبَنِيْنَ ﴿۱۵۳﴾
مَا لَكُمْ ۟ كَيْفَ تَحْكُمُوْنَ ﴿۱۵۴﴾ اَفَلَا تَذَكَّرُوْنَ ﴿۱۵۵﴾ اَمْ لَكُمْ سُلْطٰنٌ
مُّبِيْنٌ ﴿۱۵۶﴾ فَاْتُوْا بِكِتٰبِكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿۱۵۷﴾ وَجَعَلُوْا بَيْنَهٗ
وَبَيْنَ الْجِنَّةِ نَسَبًا ؕ وَلَقَدْ عَلِمَتِ الْجِنَّةُ اِنَّهُمْ لَمُحْضَرُوْنَ ﴿۱۵۸﴾

---

اَوْ يَزِيْدُوْنَ تو پتہ سوز اَسہِ تمِ پیغمبر اکھ لچھ خوتہ زیادہ لوکن کُن تمِ شہر نینواءَ س منز آس یُس شہر موصلس قریب چھہ۔ یُہند تعداد اکھ لچھ تہ ترہ ساس (۱۳۰،۰۰۰)۔ اوس فَاٰمَنُوْا فَمَتَّعْنٰهُمْ اِلٰى حِيْنٍ تمو لوکو اون ایمان گوڈہ آثارِ عذابِ وچھتھ۔ ایمانِ مجمل تو پتہ تفصیلی ایمان۔ یلہِ یونس علیہ السلام واپس آیۓ تمن کُن۔ پَس تُلہ ناوَ اَسہِ تمِ تمتع، عیش کرہ ناوِ ایمانکہِ برکتہ اَکِس مُدَتس تام یعنی یوت تان تمِ زندہ رود فَاسْتَفْتِهِمْ اَلِرَبِّكَ الْبَنَاتُ وَلَهُمُ الْبَنُوْنَ پَس پرژھتو تمن تمِ دپان چھہِ ملائیک چھہ خدایہِ سنزہ کورہ۔ کیاہ تُہندس پروردگارہ سندِہ خاطرہ گیا کورِہ تہ تمن گیۓ پانَس کتھ گبر۔ اَمْ خَلَقْنَا الْمَلٰٓئِكَةَ اِنَاثًا وَّهُمْ شٰهِدُوْنَ کنہِ اَسہِ کرہ پادہ ملایک کورِہ تمن تھِی۔ تمِ آسیا تمن بناونکہِ وقتہِ حاضرِ تہ موجود تمن وچھان اَلَآ اِنَّهُمْ مِّنْ اِفْكِهِمْ لَيَقُوْلُوْنَ وارہ چھوہ بوزان، تمِ چھہِ پنہ نیو اپزو کتھو منزہ یہ تہ اکھ کتھ ونان کہِ وَلَدَ اللّٰهُ اللہ تعالیٰ اس زایۓ اولاد وَاِنَّهُمْ لَكٰذِبُوْنَ تمِ چھہ بالکل اپزو نان اَصْطَفَى الْبَنَاتِ عَلَى الْبَنِيْنَ کیاہ تمو کریا پسند کورے نچوین پیٹھ مَا لَكُمْ كَيْفَ تَحْكُمُوْنَ کیاہ گووہ تُوہیہ کتھ بے ہودہ تجویزِ چھوہِ کران اَفَلَا تَذَكَّرُوْنَ کیاہ توہیہ چھوہ نا غور کران اَمْ لَكُمْ سُلْطٰنٌ مُّبِيْنٌ کنہ توہہِ نِشہِ چھہ نی کانہہ دلیلاہ اتھ پیٹھ فَاْتُوْا بِكِتٰبِكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ انِو توہیہ پننی کانہہ کتاباہ چھوے

سُبۡحٰنَ اللّٰهِ عَمَّا يَصِفُوۡنَ ﴿۱۵۹﴾ اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الۡمُخۡلَصِيۡنَ ﴿۱۶۰﴾ فَاِنَّكُمۡ وَمَا تَعۡبُدُوۡنَ ﴿۱۶۱﴾ مَاۤ اَنۡتُمۡ عَلَيۡهِ بِفٰتِنِيۡنَ ﴿۱۶۲﴾ اِلَّا مَنۡ هُوَ صَالِ الۡجَحِيۡمِ ﴿۱۶۳﴾ وَمَا مِنَّاۤ اِلَّا لَهٗ مَقَامٌ مَّعۡلُوۡمٌ ﴿۱۶۴﴾ وَّاِنَّا لَنَحۡنُ الصَّآفُّوۡنَ ﴿۱۶۵﴾ وَاِنَّا لَنَحۡنُ الۡمُسَبِّحُوۡنَ ﴿۱۶۶﴾ وَاِنۡ كَانُوۡا لَيَقُوۡلُوۡنَ ﴿۱۶۷﴾ لَوۡ اَنَّ عِنۡدَنَا ذِكۡرًا مِّنَ الۡاَوَّلِيۡنَ ﴿۱۶۸﴾ لَكُنَّا عِبَادَ اللّٰهِ الۡمُخۡلَصِيۡنَ ﴿۱۶۹﴾

---

توہیہ پوزونہ ونِ وَجَعَلُوۡا بَيۡنَهٗ وَبَيۡنَ الۡجِنَّةِ نَسَبًا بیہِ چھہِ ٹھرووُمت تمو خدایس تہ جنن منز اکھ رِشتہ۔ دپان چھہِ جن چھہ خدایہ سند داماد وَلَقَدۡ عَلِمَتِ الۡجِنَّةُ اِنَّهُمۡ لَمُحۡضَرُوۡنَ حالانکہ بتحقیق جن چھہِ پانہ یہِ گٔژھ زانیتھ کہِ تمِ تہِ ین گرفتار کٔرِ تھ عذابہ خاطرہ حاضرِ کرنہ قیامتس دوہ سُبۡحٰنَ اللّٰهِ عَمَّا يَصِفُوۡنَ اللہ تعالیٰ چھہِ منزّہ تہ پاک تمو سارِیو کتھوٗ نشہِ، یِلہ تمِ لوکھ ونان چھہِ تَسِ خلاف اِلَّا عِبَادَ اللّٰهِ الۡمُخۡلَصِيۡنَ مگر چھہِ محفوظ تمہِ گرفتاری نشہِ اللہ تعالیٰ سِندی ژارنہ آمت بندہ۔ تمِ جنو اندرہ اَسِ تن یا انسانو اَندرہ فَاِنَّكُمۡ وَمَا تَعۡبُدُوۡنَ * مَاۤ اَنۡتُمۡ عَلَيۡهِ بِفٰتِنِيۡنَ پَس اے مکہِ کیو کافرو توہیہ تہِ بیہ تمِ ساری تمن ہنز توہیہ پرستش کران چھوہ ہیکوٗنہ خدایس نشہِ کانسہِ اَکس دھوکہ دِتھ پانس کُن پھرِتھ اِلَّا مَنۡ هُوَ صَالِ الۡجَحِيۡمِ مگر تس یُس جہنمس کُن واتہ ڈن آسہِ ازلے۔ یہِ گوہ جنن ہُند حال۔ ملایکن ہُند حال چھہ، تمِ چھہِ ونان پانہِ وَمَا مِنَّاۤ اِلَّا لَهٗ مَقَامٌ مَّعۡلُوۡمٌ اَسہِ منز چھُنہ کانہہ تہِ یس نہ جایاہ چھہ مقرر کرنہ آمژ آکھ درجاہ مُعیّن کرنہ آمُت وَّاِنَّا لَنَحۡنُ الصَّآفُّوۡنَ بیہِ چھہِ اَسِ صفن منز ووتھدنہِ روزن والِ دست بستہ حُکمس تعمیل کرنہ خاطرہ۔ وَاِنَّا لَنَحۡنُ الۡمُسَبِّحُوۡنَ بیہِ چھہِ اَسی بے شک تسبیح پرَن والی۔ خدایہ سنز پأکی بیان کران۔ غرض اَسی چھہِ پرِیتھ طریقہ محکوم ووٗنِ یِلہِ ملایک پانہ پنہ نس بندہ آسنس اقرار چھہِ کران۔ تمہِ باوجود تمِ معبود زانن کاژاہ بے وقوفی چھہ۔ وَاِنۡ كَانُوۡا لَيَقُوۡلُوۡنَ * لَوۡ اَنَّ عِنۡدَنَا ذِكۡرًا مِّنَ الۡاَوَّلِيۡنَ * لَكُنَّا عِبَادَ اللّٰهِ الۡمُخۡلَصِيۡنَ بیہِ اَسِ تمِ عربکی کافر وَنان نبی کریمہ سندہ تشریف اننہ برونٹھ ہرگہ اَسہِ نِشہِ آسہا کانہہ نصیحت گرہ ونِ کتاباہ برونٹھمین لوکن ہندی پاٹھہ۔ استہ آسہو خدایہ سند خاص بندہ تو پتہ یِلہِ تمن برونٹھکُن واژ نصیحت کرہ وَن کتاب پیغمبرہ سندہِ ذریعہ فَكَفَرُوۡا بِهٖ فَسَوۡفَ يَعۡلَمُوۡنَ تتھ کورُکھ تو

فَكَفَرُوا بِهٖ فَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ ﴿١٧٠﴾ وَلَقَدْ سَبَقَتْ كَلِمَتُنَا لِعِبَادِنَا الْمُرْسَلِيْنَ ﴿١٧١﴾ إِنَّهُمْ لَهُمُ الْمَنْصُوْرُوْنَ ﴿١٧٢﴾ وَإِنَّ جُنْدَنَا لَهُمُ الْغٰلِبُوْنَ ﴿١٧٣﴾ فَتَوَلَّ عَنْهُمْ حَتّٰى حِيْنٍ ﴿١٧٤﴾ وَّأَبْصِرْهُمْ فَسَوْفَ يُبْصِرُوْنَ ﴿١٧٥﴾ أَفَبِعَذَابِنَا يَسْتَعْجِلُوْنَ ﴿١٧٦﴾ فَإِذَا نَزَلَ بِسَاحَتِهِمْ فَسَآءَ صَبَاحُ الْمُنْذَرِيْنَ ﴿١٧٧﴾ وَتَوَلَّ عَنْهُمْ حَتّٰى حِيْنٍ ﴿١٧٨﴾ وَّأَبْصِرْ فَسَوْفَ يُبْصِرُوْنَ ﴿١٧٩﴾ سُبْحٰنَ رَبِّكَ رَبِّ الْعِزَّةِ عَمَّا يَصِفُوْنَ ﴿١٨٠﴾ وَسَلٰمٌ عَلَى الْمُرْسَلِيْنَ ﴿١٨١﴾ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿١٨٢﴾

---

پتہ انکار وہِ زانن برونتھ پھَن پانے کہ کیاہ بنہِ تمن وَلَقَدْ سَبَقَتْ كَلِمَتُنَا لِعِبَادِنَا الْمُرْسَلِيْنَ تحقیق بیہ چھہ مُقرر کرنہ آمُت سون حُکم خاص بندن یعنی پیغمبرن متعلق لوح محفوظس اندر إِنَّهُمْ لَهُمُ الْمَنْصُوْرُوْنَ کہ بے شک تمنی چھہِ یقیناً یاری تہ مدد کرنہ آمت تمن بیہِ غلبہ دنہ وَإِنَّ جُنْدَنَا لَهُمُ الْغٰلِبُوْنَ بے شک سانٛ اسلامی لشکر چھہ یقیناً غالب سپدہ ون فَتَوَلَّ عَنْهُمْ حَتّٰى حِيْنٍ پس پھرو تمن مکہ کین کافرن نِشہِ تُوہہ پٔتن بُتھ بیس طرفس کُن یارسول اللہ کینہہ کالاہ وَّأَبْصِرْهُمْ فَسَوْفَ يُبْصِرُوْنَ بیہِ وچھوتُہہ تمِ تہِ وچھَن برونہہ پھن کیاہ بنہِ تمن أَفَبِعَذَابِنَا يَسْتَعْجِلُوْنَ کیاہ تمِ چھا سانس عذابس جلد منگان فَإِذَا نَزَلَ بِسَاحَتِهِمْ فَسَآءَ صَبَاحُ الْمُنْذَرِيْنَ ادہ یلہِ سُہ عذاب تہندین آنگنن منزوٲتھ پیہ ادہ سپدہِ سیٹھاہ یچھ تمن بیم کرنہ آمتین لوکن ہُند صبح یعنی روزِبدَ تیکھ وَتَوَلَّ عَنْهُمْ حَتّٰى حِيْنٍ * وَّأَبْصِرْ فَسَوْفَ يُبْصِرُوْنَ یلہِ یہ کتھ یقینی چھہ کہِ تمن پیٹھ واتہِ ضرور عذاب۔ توہہ تھاوِو تسلّی کینہہ کالاہ تان کرِو تُہہ صبر۔ تہندہِ تکلیفہ تہ ایذاءُک مہ برٛ وِ کانہہ غم۔ تہنز حالت روزِو وچھان۔ عنقریب وچھَن تمِ تہِ پٔتن حالتھ کیاہ بنہِ تمن سُبْحٰنَ رَبِّكَ رَبِّ الْعِزَّةِ عَمَّا يَصِفُوْنَ منزّہ تہ پاک چھہ تُہند پروردگار یُس عزّتہ وول پروردِگار چھہ تمو ساروی کتھو نِشہِ یمہِ کتھہ تس کُن لاگان چھہ دشمن وَسَلٰمٌ عَلَى الْمُرْسَلِيْنَ * وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ بیہ بوین سلام پیغمبرن پیٹھ بیہِ چھہ ساری حمد و ثنا سزاوار ربّ العالمینس

الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَاَتٰىهُمُ الْعَذَابُ مِنْ حَيْثُ لَا يَشْعُرُوْنَ ﴿۲۵﴾ فَاَذَاقَهُمُ اللّٰهُ الْخِزْيَ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۚ وَلَعَذَابُ الْاٰخِرَةِ اَكْبَرُ لَوْ كَانُوْا يَعْلَمُوْنَ ﴿۲۶﴾ وَلَقَدْ ضَرَبْنَا لِلنَّاسِ فِيْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ مِنْ كُلِّ مَثَلٍ لَّعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ ﴿۲۷﴾ ۚ قُرْاٰنًا عَرَبِيًّا غَيْرَ ذِيْ عِوَجٍ لَّعَلَّهُمْ يَتَّقُوْنَ ﴿۲۸﴾ ضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا رَّجُلًا فِيْهِ شُرَكَاۗءُ مُتَشٰكِسُوْنَ وَرَجُلًا سَلَمًا لِّرَجُلٍ ۭ هَلْ يَسْتَوِيٰنِ مَثَلًا ۭ

سیت عذابہ نِشہِ توپتہ ییہ تِمن ظالمن وننہ ژِہو مزہ تِمن ییچھ کامِین ہُند یمہ تُہہ کران اَسِوہ دُنیاءس اندر۔ کیاہ اَمہِ قسمک ظالم تہ بیہِ تِم باایمان یم جنتن اندر ہمیشہ تہ آرامہ سان آسن بہتھ چھا برابرے ہرگزنہ کَذَّبَ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَاَتٰىهُمُ الْعَذَابُ مِنْ حَيْثُ لَا يَشْعُرُوْنَ تکذیب چھہ کورمُت حضراتِ انبیاءن تِمو لوکو تہِ یم تِمن اَزکین کافرن برونٹھ اسی توپتہ چھہ وانتھ پیومُت تِمن خدایہ سُند عذاب۔ تِتھے یتھہ تِمن خیال تہِ اوس نہ۔ فَاَذَاقَهُمُ اللّٰهُ الْخِزْيَ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا وَلَعَذَابُ الْاٰخِرَةِ اَكْبَرُ لَوْ كَانُوْا يَعْلَمُوْنَ پَس ژِہہ ناوِی تِم اللہ تعالیٰ اَن رَسوائی ہُند عذاب دنیاچِہ زندگانی اَندر بیہِ چھہ ضرور آخر تک عذاب سیٹھاہ بوڈ تِہندِہ خاطرہ۔ ہرگاہ تِمن معلوم آسِہا وَلَقَدْ ضَرَبْنَا لِلنَّاسِ فِيْ هٰذَا الْقُرْاٰنِ مِنْ كُلِّ مَثَلٍ لَّعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ بے شک بیہِ گرہِ اَسہِ لوکن ہندِہ ہدایتہ خاطرہ یتھہ قرآن مجیدس اندر پریتھ قسمچِہ مثالہ تہ پریتھ قسمک مضمون یُتھ تِم نصیحت رٹن قُرْاٰنًا عَرَبِيًّا غَيْرَ ذِيْ عِوَجٍ لَّعَلَّهُمْ يَتَّقُوْنَ تِمچ کیفیت چھہ یہِ کہ یہِ قرآن مجید چھہ بزبانِ عربی یتھ منز نہ کُنہِ قسمچ کمی تہ پیچیدگی چھہ یُتھ تِم لوکھ اَمِک مضامینِ بلیغہ بوزِتھ کھوژن ضَرَبَ اللّٰهُ مَثَلًا رَّجُلًا فِيْهِ شُرَكَاۗءُ مُتَشٰكِسُوْنَ وَرَجُلًا سَلَمًا لِّرَجُلٍ چنانچہ اللہ تعالیٰ چھہ موحِدو مُشرکن متعلق اکھ مِثال بیان کران۔ اکھ شخصاہ چھہ غلام۔ سُہ چھہ مشترک واریاہن بدمزاج شریکن ہُند۔ بیاکھ موہنواہ چھہ غلام اَکسے شخصہ سُند هَلْ يَسْتَوِيٰنِ مَثَلًا کیاہ یمن دون ہنز حالتھ ہیکیا برابر اسِتھ۔ ہرگزنہ بلکہ گوڈنیک شخص چھہ ہمیشہ حیرانی اندر گرفتار کُسند مانہِ تہ کُسند مانہِ نہ

اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ ۚ بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۲۹﴾ اِنَّكَ مَيِّتٌ وَّاِنَّهُمْ مَّيِّتُوْنَ ﴿۳۰﴾ ثُمَّ اِنَّكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ عِنْدَ رَبِّكُمْ تَخْتَصِمُوْنَ ﴿۳۱﴾

فَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنْ كَذَبَ عَلَى اللّٰهِ وَكَذَّبَ بِالصِّدْقِ اِذْ جَآءَهٗ ۚ اَلَيْسَ فِيْ جَهَنَّمَ مَثْوًى لِّلْكٰفِرِيْنَ ﴿۳۲﴾ وَالَّذِيْ جَآءَ

---

دویم شخص چھ آرامس اندر۔ اَکسی آغس سیت چھُس تعلق۔ گوڈنچ مِثال گیہِ مُشرک سنز۔ کُنہِ چھُ سُہ اَکس چیزس پرستش کران تہ کُنہِ بیس چیزس۔ موحِدّ چھُ پرستِش کران اَکسی معبودِ برحقہ سنز۔ یہِ کتھ کرن تسلیم یم مشرِک تہِ اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ حق سپُد ثابت لہذا اوبِن حمد وثنا معبودِ برحقس باوجودِ آں کرن نہ یمِ لوکھ یہ کتھ قبول بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ بلکہِ چھنہ اکثر کافِر زانان یمہ صاف کتھ۔ یلہِ پرِتھ اعتبارہ نخشنک فیصلہ سپُد مگر مخالفوٚ سُہ فاصلہ قبول کورنہ۔ وون چھُ باقی قیامتُک آخری فاصلہ۔ یمہِ فاصلہ نِشہِ نہِ کانہہ تہِ ہیکہِ سرتابی کٔرِتھ۔ تمیُک ابتداء چھُ موتہ سیت اے پیغمبر برحق ہر گاہ یمِ لوکھ دنیاء س اندر یہِ معقول فیصلہ تسلیم کرن نہ تُہہ مہ کھیٚوِ، تمیُک غم کیازہِ اِنَّكَ مَيِّتٌ وَّاِنَّهُمْ مَّيِّتُوْنَ دنیاء اَندرہ چھُ توہہ تہِ مرِتھ نیرن۔ تمن تہِ چھُ دنیاءہ اَندرہ مرِتھ نیرُن۔ دنیاءس اندر روزُن کانسہِ چھُنہ ثُمَّ اِنَّكُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ عِنْدَ رَبِّكُمْ تَخْتَصِمُوْنَ توپتہ چھُ توہہ دوشون فریقن قیامتُک دوہ پنن مقدمات ہیتھ پنہ نِس پروردگارس برونٹھ کنہِ حاضر سپُدن تمہ دوہہ گرِہ سُہ عملی فیصلہ۔ سُہ فیصلہ گو ناحق پرستن جہنمک عذاب تہ حق پرستن اجرِ عظیم یعنی جنّت۔ یہ کتھ چھُ ظاہر کہ فَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنْ كَذَبَ عَلَى اللّٰهِ وَكَذَّبَ بِالصِّدْقِ اِذْ جَآءَهٗ ۚ اَلَيْسَ فِيْ جَهَنَّمَ مَثْوًى لِّلْكٰفِرِيْنَ تَس شخصہ سندِہ خوتہ کُس اَکھاہ چھُ زیادہ بے انصاف۔ یم اپز نوٗ دو معبودِ برحقس پیٹھ ، زنانہ، پنچوِ تہ کورِہ شریک ٹھراونہ سیت۔ بیہِ کورُن تکذیب تہ انکار پزِس کلامس یعنے قرآن مجیدس بیلہِ سُہ قرآنِ مجید ووت تس نِشہِ بواسطہ پیغمبرِ برحق۔ یتھِس شخصہ سُند ظالم آسُن چھُ ظاہر۔ اظلمہ سُند مستحق عذابِ عظیم آسُن تہِ چھُ ظاہر۔ سُہ عذابِ عظیم گو نارِ جہنّم۔ کیاہ یتھین کافرن ہنز جائے شوبہِ نارِ جہنّم وَالَّذِيْ جَآءَ بِالصِّدْقِ

بِالصِّدْقِ وَصَدَّقَ بِهٖٓ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُتَّقُوْنَ ﴿۳۳﴾ لَهُمْ مَّا
يَشَآءُوْنَ عِنْدَ رَبِّهِمْ ؕ ذٰلِكَ جَزٰٓؤُا الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۳۴﴾ لِيُكَفِّرَ اللّٰهُ
عَنْهُمْ اَسْوَاَ الَّذِيْ عَمِلُوْا وَيَجْزِيَهُمْ اَجْرَهُمْ بِاَحْسَنِ
الَّذِيْ كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿۳۵﴾ اَلَيْسَ اللّٰهُ بِكَافٍ عَبْدَهٗ ؕ وَيُخَوِّفُوْنَكَ
بِالَّذِيْنَ مِنْ دُوْنِهٖ ؕ وَمَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنْ هَادٍ ﴿۳۶﴾
وَمَنْ يَّهْدِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنْ مُّضِلٍّ ؕ اَلَيْسَ اللّٰهُ بِعَزِيْزٍ

وَصَدَّقَ بِهٖٓ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُتَّقُوْنَ تمن بدل گے تم لوکھ یم خدایہ سندہ طرفہ یا پیغمبرہ خدایہ سندہ طرفہ پوز ہیتھ آئے۔ بیہ کو رُکھ پانہ تہِ تتھ پزس تصدیق۔ تمے لوکھ چھِ یقیناً مُتقی تہ پرہیزگار۔ تُہند فیصلہ چھُ کہِ لَهُمْ مَّا يَشَآءُوْنَ عِنْدَ رَبِّهِمْ تہندِ خاطرہ چھُ تہِ سورُے یہ تمِ یژھن پنہ نِس پروردگارس نشہِ ذٰلِكَ جَزٰٓؤُا الْمُحْسِنِيْنَ یہے چھُ مزور تہ بدلہ نیکو کارن ہُند۔ تہندِ ہ خاطرہ سپُد یہ تجویز لِيُكَفِّرَ اللّٰهُ عَنْهُمْ اَسْوَاَ الَّذِيْ عَمِلُوْا وَيَجْزِيَهُمْ اَجْرَهُمْ بِاَحْسَنِ الَّذِيْ كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ یُتھ اللہ تعالیٰ دور کرِہ تہنزِ ہ یچھ عملہ بیہ یُتھ رژ مزور عطا کرِہ تمن عملن ہنز یمہ رژہ عملہ تم کران آس اَلَيْسَ اللّٰهُ بِكَافٍ عَبْدَهٗ کیاہ اللہ تعالیٰ چھُنا کافی پنہ نِس بندہ خاصس (حضرت محمدّ صلی اللہ علیہ وسلم) حفاظت کرنہ خاطرہ۔ سُہ چھُ سارِنے ہندِ ہ حفاظتہ خاطرہ کافی پنہ نِس بندِ ہ خاصہ سندہ خاطرہ گوژھہ نا آسُن وَيُخَوِّفُوْنَكَ بِالَّذِيْنَ مِنْ دُوْنِهٖ تمِ کافر چھِ امہِ قسمک احمق کہ خدایہ سنزِ حفاظتہ نِش تجاہل کرِتھ چھِ توہہِ کھوژہ ناوان معبودانِ باطلن ہندِ سیت یم تمو خدایس ورائے چھِ پانے ٹھراومت۔ حالانکہ تمِ چھِ پانہ بے جان تہ عاجز۔ ہرگاہ قادِر تہِ آسہِ ہن توتہِ کیاہ چلہِ ہا تمن خدایہ سنزِ راچھ تہ حفاظتس مقابلہ۔ یہ چھُ تمن وتھ راومژ وَمَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنْ هَادٍ یَس اللہ تعالیٰ وتھ راوِرہ تَس چھُنہ کانہہ تہِ وَتھ ہاوہ وُن تہ ہدایت کرہ وُن وَمَنْ يَّهْدِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنْ مُّضِلٍّ یَس اللہ تعالیٰ وتھ ہاوِ تَس چھُنہ کانہہ وتہِ نشہِ ڈالہ وُن تہ گمراہ کرہ وُن اَلَيْسَ اللّٰهُ بِعَزِيْزٍ ذِي انْتِقَامٍ کیاہ تمن

ذِی انْتِقَامٍ ﴿۳۷﴾ وَلَئِنْ سَاَلْتَهُمْ مَّنْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ
وَالْاَرْضَ لَيَقُوْلُنَّ اللّٰهُ ؕ قُلْ اَفَرَءَيْتُمْ مَّا تَدْعُوْنَ
مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ اِنْ اَرَادَنِیَ اللّٰهُ بِضُرٍّ هَلْ هُنَّ كٰشِفٰتُ
ضُرِّهٖۤ اَوْ اَرَادَنِیْ بِرَحْمَةٍ هَلْ هُنَّ مُمْسِكٰتُ رَحْمَتِهٖ ؕ قُلْ
حَسْبِیَ اللّٰهُ ؕ عَلَيْهِ يَتَوَكَّلُ الْمُتَوَكِّلُوْنَ ﴿۳۸﴾ قُلْ يٰقَوْمِ
اعْمَلُوْا عَلٰی مَكَانَتِكُمْ اِنِّیْ عَامِلٌ ۚ فَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ ﴿۳۹﴾

---

چھُناخیال کہ اللہ تعالیٰ چھہ زبردست انتقام ہینہ وول۔ تعجب چھہ کہ تِمن چھہ پانس تہ تمہِ کتھہِ ہُند تسلیم کہ اللہ تعالیٰ چھہ پنہ نین بندن نُصرت کرہ نس پیٹھ کافی۔ قدرتس اندر چھہ سیٹھاہ کامل چنانچہِ وَلَئِنْ سَاَلْتَهُمْ مَّنْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ لَيَقُوْلُنَّ اللّٰهُ ہرگاہ تُہہ تِمن لوکن پرژھو کہ آسمان تہ زمین کمِ کرپادہِ ضرورونن تمِ کہ اللہ تعالیٰ اَن کرٕ پادہ۔ یتھ بڈاجرام فلکی از عدم بوجود اَنُن چھہ دلالت کران تھہندِس کمالِ قدرتس پیٹھ اتھ پیٹھ بناکرِتھ قُلْ اَفَرَءَيْتُمْ مَّا تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ اِنْ اَرَادَنِیَ اللّٰهُ بِضُرٍّ هَلْ هُنَّ كٰشِفٰتُ ضُرِّهٖۤ اَوْ اَرَادَنِیْ بِرَحْمَةٍ هَلْ هُنَّ مُمْسِكٰتُ رَحْمَتِهٖ پرژھتو تُہہ تِمن اے کافرو میہ وَنتو تُہہ تِمن معبودانِ باطلن ہنز تُہہ پرستش کران چھِوہ خدایس وَراے۔ ہرگاہ اللہ تعالیٰ میہ کانہہ تکلیف واتہ ناوُن یژھِہ کیاہ تمِ معبود ہیکنہ سۄ تکلیف میہ نِشہِ دور کرِتھ یا ہرگاہ اللہ تعالیٰ میانہِ حقہ یژھِہ کانہہ مہربانیاہ کیاہ تمِ معبود ہیکنہ سۄ مہربانی پتھ رٹِتھ قُلْ حَسْبِیَ اللّٰهُ تُہہ فرماویو کھ اَمہ اندرہ سپد ثابت ای آیو گوڈہ تہِ بیان کرنہ۔ چونکہِ سُہ چھہ یُتھ قدرتہ وول تہ یتھ مدد کرہ وُن مہِ چھہ بس سے اللہ تعالیٰ عَلَيْهِ يَتَوَكَّلُ الْمُتَوَكِّلُوْنَ لہذا چھہِ تَس پیٹھ توکّل کرہ ونی توکل کران۔ بہ تہِ چھُس تَس پیٹھ توکل کران۔ تُہنزِہ مخالفتک تہ دشمنی ہُند چھُس نہ بہ کانہہ پرواکران قُلْ يٰقَوْمِ اعْمَلُوْا عَلٰی مَكَانَتِكُمْ اِنِّیْ عَامِلٌ فَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ بالاخر فرماویو کھ تُہہ یارسول اللہ اے لوکو ہرگاہ اتھ پیٹھ تہِ تُوہہ کینہہ مانِو نہ تیلہِ زانِو تُوہہ تہ کارزانِو۔ تُوہہ گژھِو کام کران پننہِ جایہِ پیٹھ۔ بہ تہِ

مَنْ يَّاْتِيْهِ عَذَابٌ يُّخْزِيْهِ وَيَحِلُّ عَلَيْهِ عَذَابٌ مُّقِيْمٌ ﴿٤٠﴾

اِنَّآ اَنْزَلْنَا عَلَيْكَ الْكِتٰبَ لِلنَّاسِ بِالْحَقِّ ۚ فَمَنِ اهْتَدٰى

فَلِنَفْسِهٖ ۚ وَمَنْ ضَلَّ فَاِنَّمَا يَضِلُّ عَلَيْهَا ۚ وَمَآ اَنْتَ عَلَيْهِمْ

بِوَكِيْلٍ ﴿٤١﴾ ع اَللّٰهُ يَتَوَفَّى الْاَنْفُسَ حِيْنَ مَوْتِهَا وَالَّتِيْ لَمْ

تَمُتْ فِيْ مَنَامِهَا ۚ فَيُمْسِكُ الَّتِيْ قَضٰى عَلَيْهَا الْمَوْتَ وَ

يُرْسِلُ الْاُخْرٰٓى اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى ۭ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ

---

ڇھُس پنهنِ طوره عمل كران. بروڌهه پهنن زانو تُوهه پائے مَنْ يَّاْتِيْهِ عَذَابٌ يُّخْزِيْهِ وَيَحِلُّ عَلَيْهِ عَذَابٌ مُّقِيْمٌ سُه كُس شخص آسه يَس نِش واته دنياءَس اندر سُه عذاب يُس تَس خوار وذليل گرِه. بيهِ كس پيڻهه بيهِ آخر تَس اندر سُه عذاب يُس هميشه دايم ته پوشهِ ڈون آسهِ اِنَّآ اَنْزَلْنَا عَلَيْكَ الْكِتٰبَ لِلنَّاسِ بِالْحَقِّ پٔز پاڻهه اَسهِ کٔر نازِل توهه پيڻهه يه كتاب يتهه منز پٔزے پوز ڇھه لوكن هندِ نفعه فايده خاطره. تُهنز كام ڇھه يه وَاته ناوُن فَمَنِ اهْتَدٰى فَلِنَفْسِهٖ وَمَنْ ضَلَّ فَاِنَّمَا يَضِلُّ عَلَيْهَا تمهِ پته يَس اَكس وَتهه آيهِ اَمهِ قرآن مجيده سيت پٔس ڇھه تميُك فائده تَس پانس. يُس اكھاه وَتهِ نِشهِ ڈول سُه ڈلهِ نه مگر پننهِ پانه كهِ ضرره خاطره وَمَآ اَنْتَ عَلَيْهِمْ بِوَكِيْلٍ تُوهه نه حض ڇهوه نه لوكن هند ذمه دار زوره كياه انيو كھ تمِ سئزهِ وَتهِ پيڻهه. لهذا كيازِه تُوهه تهندِه گمراهي هندِه سبب غمگين سپدان اَللّٰهُ يَتَوَفَّى الْاَنْفُسَ حِيْنَ مَوْتِهَا وَالَّتِيْ لَمْ تَمُتْ فِيْ مَنَامِهَا الله تعالىٰ اَی ڇھه قبض كران تِمن روحن يهندِ مره نٕك وقت وو تمت آسان ڇھه. بيهِ تِمن روحن تِمن نه وِنهِ مرنٕك وقت وو تمُت ڇھه آسان. تِمن تهِ ڇھه قبض كران نِندرِه اندر فَيُمْسِكُ الَّتِيْ قَضٰى عَلَيْهَا الْمَوْتَ وَيُرْسِلُ الْاُخْرٰٓى اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى پٔس ڇھه رٹان تِمن روحن تِمن پيڻهه مرنٕك حكم تم جاری كورمُت آسان ڇھه. بيهِ ڇھه واپس سوزان باقی روحن اَكس مُعيّن ته مُقرر كرنه آمتِس وقتس تان يعنے عُمرهِ هندس مُدتس تام اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ بے شك اتهه مجموعه تصرفس منز ڇھه خدايه سندهِ قدرتچ ته تهندِه منفرد فی التصرف آسنچ واریاه دليله تِمن لوكن هندِ

يَّتَفَكَّرُوْنَ ۝٤٢ اَمِ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ شُفَعَآءَ ؕ قُلْ اَوَلَوْ كَانُوْا لَا يَمْلِكُوْنَ شَيْـًٔا وَّلَا يَعْقِلُوْنَ ۝٤٣ قُلْ لِّلّٰهِ الشَّفَاعَةُ جَمِيْعًا ؕ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ ثُمَّ اِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ۝٤٤ وَاِذَا ذُكِرَ اللّٰهُ وَحْدَهُ اشْمَاَزَّتْ قُلُوْبُ الَّذِيْنَ

---

خاطره تم فِکر ته تامُل کران آسن اَمِ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ شُفَعَآءَ کیاه تمو مُشرک لوکو چها باوجود واریاه دلیله توحید چه قائم آسکه خدائیس ورائے بیه معبود قرار دتمیت تمن متعلق تمن خیال چهٔ که تمِ کرن اسهِ سُفارش قُلْ اَوَلَوْ كَانُوْا لَا يَمْلِكُوْنَ شَيْـًٔا وَّلَا يَعْقِلُوْنَ تُوهه فرماویو کھ یار سول الله اے لوکو کیاه اگر تمن کُنهِ چیزس پیٹھ اختیار ته قدرت نه آستھ بیه کانهه چیز اه نه زانتھ چھوه توهه تمن زانان پنن سفارش کرهون۔ حالانکه سفارش کره نس گژهِ آسُن قدرت ته علم بے جان چیز چھِ تمو دوشوے چیزو نِشهِ خالی۔ وون هر گا تمِ وَنن اَس چھکهنه تمِ بے جان چیز فی نفسهٖ زانان شفاعت کرهونِ بلکه چھِ اَسی تمن زانان شفاعت کرهون تمن هنزه یمه شکله چھهٕ۔ تم چھِ ذی روح تمن منز چھهٕ قدرت تهِ ته علم تهِ۔ الله تعالیٰ چھهٕ تتھ رد فرماوان آمهِ پته قُلْ لِّلّٰهِ الشَّفَاعَةُ جَمِيْعًا تُهه تارِ یمن واره فکره یه کتھ که سفارشِ هند سورے اختیار چھهٕ خدلیهِ سے یوت۔ تهندهِ اِذنه ته اجازته ورائے هیکهِ نه کانهه تهِ کانسهِ سفارش کرِتھ۔ اذنه خاطره چھِ زه شرط۔ اکھ گژهِ شفیع مقبول آسُن بیه یُس شفاعت یِیه کرنه سُه گژهِ قابلِ مغفرت آسُن۔ تمن ارواحن هنز تمِ پرستش کران چھِ تمِ اگر شیطان چھِ تیله چھِ تمن منز دوشوے شرط مفقود هر گاه تمِ ملائکه چھِ تیلهِ چھهٕ دوُیم شرط مفقود۔ لهٰذا اسپز تهنزِ شفاعت کرن باطل امی موکھ اَس یوان تمِ معبود قرار دنه لهٰذا اسپُد تهند معبود آسُن باطل امی سیت سپُد الله تعالیٰ سُند معبود برحق آسن ثابت تَس معبودِ برحقه سُند شان چھهٕ که لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ آسمانَن ته زمین هنز سارے حکومت چھهٕ تَس اتھِ ثُمَّ اِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ پتولاکه سورُے عالم ختم گژهنه پته اِیوتهٕ تَس کُن واتناونه وَاِذَا ذُكِرَ اللّٰهُ وَحْدَهُ اشْمَاَزَّتْ قُلُوْبُ الَّذِيْنَ لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ کافرن ته مشرکن هُند حال چھهٕ که

لَا يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ ۚ وَاِذَا ذُكِرَ الَّذِيْنَ مِنْ دُوْنِهٖٓ اِذَا هُمْ يَسْتَبْشِرُوْنَ ﴿۴۵﴾ قُلِ اللّٰهُمَّ فَاطِرَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ عٰلِمَ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ اَنْتَ تَحْكُمُ بَيْنَ عِبَادِكَ فِيْ مَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ ﴿۴۶﴾ وَلَوْ اَنَّ لِلَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مَا فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا وَّمِثْلَهٗ مَعَهٗ لَافْتَدَوْا بِهٖ مِنْ سُوْٓءِ الْعَذَابِ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ ۭ وَبَدَا لَهُمْ مِّنَ اللّٰهِ مَا لَمْ يَكُوْنُوْا يَحْتَسِبُوْنَ ﴿۴۷﴾

---

یلہِ خدایہ سُندُے یوت یاد کرنہ چھہ یوانِ کہِ سُی معبودِ برحق تُس چھہ تصرف سارِنے کامین پیٹھ تمہِ ساتہ چھہِ تمن لوکن ہند دِل چونگراونہ یوانِ تمن نہ پژھ چھہ آخرتچ کیازِ تمن چھہ توحیدچ نفرت وَاِذَا ذُكِرَ الَّذِيْنَ مِنْ دُوْنِهٖٓ اِذَا هُمْ يَسْتَبْشِرُوْنَ تمہِ ساتہ تذکرہ چھہ کرنہ یوان تمن ہُندیم تُس معبودِ برحقس ورائے چھہِ، تمن تمِ شریکِ خدازانان چھہِ، تمِ چھہِ خوش گژھان کیازِ تمن چھہ شرِک ٹوٹھ قُلِ اللّٰهُمَّ فَاطِرَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ عٰلِمَ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ تُہہ مہ سپدِ ویا رسول اللہ تہنزہ دشمنی سیت غمگین۔ تُوہہ کُر دِ دُعا۔ خدایس منگِو یا اللہ ژے چھُکھ آسمانن تہ زمینن ہُند پادہ کرہ وُن ژے چھُکھ سورُے پوشیدہ تہ نون زانہ وُن اَنْتَ تَحْكُمُ بَيْنَ عِبَادِكَ فِيْ مَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ ژے کرکھ قیامتُک دوہ فاصلہ پننہ نین بندن منز تمن کتھن ہند تمن منز تمِ پانہ وان اختلاف کران اُس تمہِ فیصلہ کہِ وقتہ سپدِہ حال کہ وَلَوْ اَنَّ لِلَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مَا فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا وَّمِثْلَهٗ مَعَهٗ لَافْتَدَوْا بِهٖ مِنْ سُوْٓءِ الْعَذَابِ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ ہرگاہ تمن لوکن نِشہِ تموظُلم کور شرکہ تہ کُفرہ سیت سہ سورُے مال آسہِ، یُس سارسی زمینس منز چھہ بیہِ تتھ سیتِ بیہِ تیوت مال تہ دولتھ ضرور دن تمِ سہ سورُے مال، تمِ تامُل تہ تار کرنہ ورائے پنن پان موکلاونہ خاطرہ قیامتہِ دوہہ کہ سخت مشکل عذابہ نِشہِ وَبَدَا لَهُمْ مِّنَ اللّٰهِ مَا لَمْ يَكُوْنُوْا يَحْتَسِبُوْنَ تمن نَنِ تمہِ دوہہ اللہ تعالیٰ سندِہ طرفہ تمِ حالاتھ تمن ہُند نہ تمن وہم و گمانے اوس وَبَدَا لَهُمْ سَيِّاٰتُ مَا كَسَبُوْا وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ بیہِ سپدَن ظاہر

وَبَدَا لَهُمْ سَيِّاٰتُ مَا كَسَبُوْا وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ

يَسْتَهْزِءُوْنَ ﴿۴۸﴾ فَاِذَا مَسَّ الْاِنْسَانَ ضُرٌّ دَعَانَا ۫ ثُمَّ اِذَا

خَوَّلْنٰهُ نِعْمَةً مِّنَّا ۙ قَالَ اِنَّمَآ اُوْتِيْتُهٗ عَلٰى عِلْمٍ ؕ بَلْ هِيَ فِتْنَةٌ

وَّلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۴۹﴾ قَدْ قَالَهَا الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ

فَمَآ اَغْنٰى عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ﴿۵۰﴾ فَاَصَابَهُمْ سَيِّاٰتُ

مَا كَسَبُوْا ؕ وَالَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مِنْ هٰٓؤُلَآءِ سَيُصِيْبُهُمْ سَيِّاٰتُ

مَا كَسَبُوْا ۙ وَمَا هُمْ بِمُعْجِزِيْنَ ﴿۵۱﴾ اَوَلَمْ يَعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ يَبْسُطُ

---

تمہ دوہہ تمہِ سارے ییچھ کامہِ یمہ تموکرمژہ آسَن۔ بیہِ ییہِ ولنہ تمن سۂ عذاب ییتھ تمِ ٹھٹھہ کران اَس
فَاِذَا مَسَّ الْاِنْسَانَ ضُرٌّ دَعَانَا مُشرِک انسان یُس ذکر اللہ نشہِ نفرت چھہ کران، غیر اللہ سندِس یادس
سیت چھہ دِل چسپی تھوان۔ یمہِ ساتہ امِس مُشرکِ انسانس کانہہ سختیاہ واتان چھہ اتی چھہ تمہِ ساتہ باقی
ساری تراوتھ اُمسے نادِوان ثُمَّ اِذَا خَوَّلْنٰهُ نِعْمَةً مِّنَّا قَالَ اِنَّمَآ اُوْتِيْتُهٗ عَلٰى عِلْمٍ تمہِ پتہ یلہِ اَس
تَس کانہہ نعمتھاہ عطا کران چھ تمہِ ساتہ چھہ یہِ نعمت خدا ایس کُن منسوب کرنہ نشہِ گُریز کران۔ دپنہِ چھہ
لگان کہ یہ نعمت سبنے یہ میہ پننہِ تدبیرہ سیت اَمِس انسانہ سُند یہ زانُن چھہ غلط بَلْ هِيَ فِتْنَةٌ وَّلٰكِنَّ
اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ بلکہ چھہ یہِ نعمت آزمائش تہ امتحان کہ آیایہِ نعمت واتتھ مشراویایہِ انسان اَسہِ کِنہ
اَمہِ نعمچ شکر گذاری گرِہ مگر لوکھ چھنہ یہِ کتھہ زانان قَدْ قَالَهَا الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ فَمَآ اَغْنٰى عَنْهُمْ
مَّا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ بتحقیق اِژھ کتھہ چھہ وَنمژہ تمو لوکو تہِ یم تمن برونٹھ آس (قارون وغیرہ) پَس دُیت
نہ کانہہ فایدہ تمن تمو چیزو یم تمو حاصل کرمت اَس فَاَصَابَهُمْ سَيِّاٰتُ مَا كَسَبُوْا وَالَّذِيْنَ ظَلَمُوْا
مِنْ هٰٓؤُلَآءِ سَيُصِيْبُهُمْ سَيِّاٰتُ مَا كَسَبُوْا وَمَا هُمْ بِمُعْجِزِيْنَ بیہِ تمو لوکو ظُلم کور تمو مکہ کیو لوکو اندرہ۔
تمن تہِ واتہِ عنقریب تمن ییچھ عملن ہند ییچھ نتیجہ یمہ تموکرہ مژہ چھہ۔ تمِ ہیکن نہ خدا ایس عاجز کرِ تھ۔

الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيَقْدِرُ ۭ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ﴿۵۲﴾ قُلْ يٰعِبَادِيَ الَّذِيْنَ اَسْرَفُوْا عَلٰٓي اَنْفُسِهِمْ لَا تَقْنَطُوْا مِنْ رَّحْمَةِ اللّٰهِ ۭ اِنَّ اللّٰهَ يَغْفِرُ الذُّنُوْبَ جَمِيْعًا ۭ اِنَّهٗ هُوَ الْغَفُوْرُ الرَّحِيْمُ ﴿۵۳﴾ وَاَنِيْبُوْٓا اِلٰى رَبِّكُمْ وَاَسْلِمُوْا لَهٗ مِنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَكُمُ الْعَذَابُ ثُمَّ لَا تُنْصَرُوْنَ ﴿۵۴﴾ وَاتَّبِعُوْٓا اَحْسَنَ

---

چنانچہ جنگ بدر س منز کھیوو تمو کافی سزا اَوَلَمْ يَعْلَمُوْٓا اَنَّ اللّٰهَ يَبْسُطُ الرِّزْقَ لِمَنْ يَّشَآءُ وَيَقْدِرُ ۭ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ بے شک اتھ کمی وزیادتی کرہ نس اندر چھہِ واریاہ نشانہ خدایہ سندہ قدرتک تمن لوکن ہندہ خاطرہ یمو پژھ کٔر تہ ایمان اون معبودِ برحقس قُلْ يٰعِبَادِيَ الَّذِيْنَ اَسْرَفُوْا عَلٰٓي اَنْفُسِهِمْ لَا تَقْنَطُوْا مِنْ رَّحْمَةِ اللّٰهِ فرماوِ تُوہہ میانین بندن یم پرٔ ژھان چھہِ کہ ہرگاہ أس اسلام اَنو سانین گونہن کیاہ بنہِ۔ اے میانیو بندو یمو گُناہ کرنہ سیت پنہ نین پانن پیٹھ زیادتی کٔر کہ نااُمید مہ سپِدِو اللہ تعالیٰ سندہِ رحمتہ نِشہِ اِنَّ اللّٰهَ يَغْفِرُ الذُّنُوْبَ جَمِيْعًا اللہ تعالیٰ کرِہ تہندین سارِنے بروٹھین گونہن بخشایش۔ اَدہ اس تن تمِ گوناہ شرِک تہ کفرے۔ یہ آیہ کریمہ چھہ اعلان کران حضرتِ ارحم الراحمینہ سندہِ بے شمار رحمتک بییہ تہندہِ عفوودرگزر کرنچہِ تھدہِ شانک۔ بییہ ہرگاہ کانہہ سخت مایوس العلاج گونہن ہند بیمار اَسہِ تسندہِ حقہ چھہ یہ آیہ کریمہ اکسیرُک حُکم تھاوان۔ مُشرک، ملحد، زندیق مرتد یہودی، نصرانی، مجوس، بدعتی، فاسق، فاجرِ آس تن یہ آیہ کریمہ بوزِتھ گژھہ نہ تُہند خدایہ سندہِ رحمتہ نِشہِ مایوس سپُدن۔ کیازہِ اللہ تعالیٰ ییٚس یژھہ تس کرِہ مغفرت سارِنے گونہن۔ تسند ارادہ ہیکہ نہ کانہہ تہِ پتھ رٹتھ اِنَّهٗ هُوَ الْغَفُوْرُ الرَّحِيْمُ واقعی سُہ چھہ سیٹھاہ بخشنہار، سیٹھا رحمتہ وول، چونکہ اَمہِ معافی تہ بخشایشہ ہُند شرط چھہ توبہ تہ مسلمان سپُدن وَاَنِيْبُوْٓا اِلٰى رَبِّكُمْ وَاَسْلِمُوْا لَهٗ مِنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَكُمُ الْعَذَابُ ثُمَّ لَا تُنْصَرُوْنَ لہٰذا اَنٔرِو تُہہ رجوع تہ توبہ پنہ نِس پروردگارس کُن بییہ کٔرِو تہنز تابعداری، توہہ پیٹھ عذاب آلٰہی نازِل سپدنہ بروٹھ عذاب نازل سپدنہ پتہ ییہ نہ توہہ کانہہ مدد

مَآ اُنْزِلَ اِلَيْكُمْ مِّنْ رَّبِّكُمْ مِّنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَكُمُ الْعَذَابُ بَغْتَةً وَّاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُوْنَ ﴿۵۵﴾ اَنْ تَقُوْلَ نَفْسٌ يّٰحَسْرَتٰى عَلٰى مَا فَرَّطْتُّ فِيْ جَنْۢبِ اللّٰهِ وَاِنْ كُنْتُ لَمِنَ السّٰخِرِيْنَ ﴿۵۶﴾ اَوْ تَقُوْلَ لَوْ اَنَّ اللّٰهَ هَدٰىنِيْ لَكُنْتُ مِنَ الْمُتَّقِيْنَ ﴿۵۷﴾ اَوْ تَقُوْلَ حِيْنَ تَرَى الْعَذَابَ لَوْ اَنَّ لِيْ كَرَّةً فَاَكُوْنَ مِنَ الْمُحْسِنِيْنَ ﴿۵۸﴾ بَلٰى قَدْ جَآءَتْكَ اٰيٰتِيْ فَكَذَّبْتَ بِهَا وَاسْتَكْبَرْتَ وَكُنْتَ مِنَ الْكٰفِرِيْنَ ﴿۵۹﴾ وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ تَرَى الَّذِيْنَ كَذَبُوْا

---

کرنہ کانسہ ہندہِ طرفہ وَاتَّبِعُوْٓا اَحْسَنَ مَآ اُنْزِلَ اِلَيْكُمْ مِّنْ رَّبِّكُمْ مِّنْ قَبْلِ اَنْ يَّاْتِيَكُمُ الْعَذَابُ بَغْتَةً وَّاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُوْنَ بیہ کرو پیروی تمن رتین حُکمن ہمِ توہہِ کُن نازل آے کرنہ تُہندِس پروردگارہ سندہِ طرفہ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ عذابس گرفتار سپدنہ برونٹھ۔ توہہ آسہِ نہٕ تمیُک وہم وگمانے کُنہِ قسمہ۔ اَنْ تَقُوْلَ نَفْسٌ يّٰحَسْرَتٰى عَلٰى مَا فَرَّطْتُّ فِيْ جَنْۢبِ اللّٰهِ وَاِنْ كُنْتُ لَمِنَ السّٰخِرِيْنَ یُتھنہ یِرِتھ ہناہ بنہِ کہ توہہِ اَندرہ وَنہِ کانہہ شخصاہ افسوس تتھ میانہِ کوتاہی پیٹھ یوسہ میانہِ طرفہ آیہ خدایہ سنزہ فرماں برداری اندر۔ واقعی بہ اوسُس ٹھٹھہ کرہ وینو اَندرہ تمن کتھن پیٹھ دنیاءس اندر اَوْ تَقُوْلَ لَوْ اَنَّ اللّٰهَ هَدٰىنِيْ لَكُنْتُ مِنَ الْمُتَّقِيْنَ یاوِنہ کانہہ شخصاہ کہ ہرگاہ اللہ تعالیٰ اَن میہ ہدایت کورمُت آسہِ ہابہ تہٕ آسہ ہا پرہیزگار وأندرہ اَوْ تَقُوْلَ حِيْنَ تَرَى الْعَذَابَ لَوْ اَنَّ لِيْ كَرَّةً فَاَكُوْنَ مِنَ الْمُحْسِنِيْنَ نتہ وَنہِ کانہہ شخصاہ یمہِ ساتہ نظر پییس عذابس پیٹھ کاش کہ میہ ہے دنیاءس کُن واپس دِہن گژھنہ ادہ بنہ ہابہ نیکو کارو أندرہ بَلٰى قَدْ جَآءَتْكَ اٰيٰتِيْ فَكَذَّبْتَ بِهَا وَاسْتَكْبَرْتَ وَكُنْتَ مِنَ الْكٰفِرِيْنَ تَس یِیہِ وَنہ البتہ بتحقیق ژٕیہ نِشہِ وات میان آیات تمِ زان تھکھ ژٕیہ اَپز۔ ژٕیہ کورُتھ تمِ مانہ نِشہِ تکبّر تہٕ غرور۔ بیہ اوسُکھ ژٕہ

عَلَى اللّٰهِ وُجُوْهُهُمْ مُّسْوَدَّةٌ ؕ اَلَيْسَ فِيْ جَهَنَّمَ مَثْوًى لِّلْمُتَكَبِّرِيْنَ ﴿۶۰﴾ وَيُنَجِّي اللّٰهُ الَّذِيْنَ اتَّقَوْا بِمَفَازَتِهِمْ ۡ لَا يَمَسُّهُمُ السُّوْٓءُ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ ﴿۶۱﴾ اَللّٰهُ خَالِقُ كُلِّ شَيْءٍ ۡ وَّ هُوَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ وَّكِيْلٌ ﴿۶۲﴾ لَهٗ مَقَالِيْدُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ ﴿۶۳﴾ ؏ قُلْ اَفَغَيْرَ اللّٰهِ تَاْمُرُوْٓنِّيْٓ اَعْبُدُ اَيُّهَا الْجٰهِلُوْنَ ﴿۶۴﴾ وَلَقَدْ

---

هميشه ڪافرَ نے سيت وَيَوْمَ الْقِيٰمَةِ تَرَى الَّذِيْنَ كَذَبُوْا عَلَى اللّٰهِ قيامتہِ دوہ وچھہ ہکھ ژہ تمِ لوکھ یمو ابزنوروواللہ تعالیٰ اَس پیٹھ۔ یمہ کتھہ خدائن فرماوہِ نہ تمہِ لاجھ تَس یمہ کتھہ تمِ فرماوہِ تمن کورُکھ اِنکار۔ وُجُوْهُهُمْ مُّسْوَدَّةٌ بُتھ تہندِ ی آسَن کرن سیاہ۔ اَلَيْسَ فِيْ جَهَنَّمَ مَثْوًى لِّلْمُتَكَبِّرِيْنَ کیاہ جہنم چھناروزنچ جاے تمن مُتکبرن ہندہِ خاطرہ وَيُنَجِّي اللّٰهُ الَّذِيْنَ اتَّقَوْا بِمَفَازَتِهِمْ بيہ دیہِ اللہ تعالیٰ نجات رستہ گاری تہ کامیابی سیت تمن لُوکن یمِ پتھ رود شرک وکفرہ نِشہِ بیہ رود پتھِ تہنزہ نافرمانی نِشہِ لَا يَمَسُّهُمُ السُّوْٓءُ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ تمن واتہِ نہ کانہہ تکلیف، نہ آسَن تمِ غمگین اَللّٰهُ خَالِقُ كُلِّ شَيْءٍ وَّ هُوَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ وَّكِيْلٌ اللہ تعالیٰ اِی چھہ پریتھ چیزک پیدہ کرہ ڈن۔ بیہ چھہ سُی پریتھ چیزک ذمہّ دار لَهٗ مَقَالِيْدُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ تَس اتھِ چھہ کونزہ آسمانن تہ زمین ہندین خزانن ہنزہ۔ سُی چھہ موجدِ سارِ کُوی۔ باقی تھاوہ ڈن تہ حافظ پریتھ چیزک۔ سُی چھہ متصرف پریتھ چیزک آسمان وزمین ہیندین خزانن ہنزہ کونزہ چھہ تَسَی اَتھِ۔ لہٰذا اِیُتھِ کمالک صِفت آسہ ونس شوبیا شریک

وَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ یمِ لوکھ باوجودِ آں انکار چھہِ کران خدایہ سندین آیاتَن تمِ لوکھ چھہِ تاوان زدتہ سیٹھاہ نقصان تلہ ون۔ یمِ لوکھ آس پانے کُفر وشر کس مُبتلا۔ مگر یمِ چھہِ اَمہِ قسمک بے حیاء کہ یمِ چھہِ توہہِ تہِ فرمایش کران نعوذ باللہ پنہ نِس طریقس پیٹھہ عمل کرنچ قُلْ اَفَغَيْرَ اللّٰهِ تَاْمُرُوْٓنِّيْٓ اَعْبُدُ اَيُّهَا الْجٰهِلُوْنَ توہہ فرماویوکھ یارسول اللہ کیاہ توحید ثابت سپدِ تھ تہ

أُوحِيَ إِلَيْكَ وَإِلَى الَّذِينَ مِن قَبْلِكَ ۚ لَئِنْ أَشْرَكْتَ لَيَحْبَطَنَّ عَمَلُكَ وَلَتَكُونَنَّ مِنَ الْخَاسِرِينَ ﴿٦٥﴾ بَلِ اللَّهَ فَاعْبُدْ وَكُن مِّنَ الشَّاكِرِينَ ﴿٦٦﴾ وَمَا قَدَرُوا اللَّهَ حَقَّ قَدْرِهِ وَالْأَرْضُ جَمِيعًا قَبْضَتُهُ يَوْمَ الْقِيَامَةِ وَالسَّمَاوَاتُ مَطْوِيَّاتٌ بِيَمِينِهِ ۚ سُبْحَانَهُ وَتَعَالَىٰ عَمَّا يُشْرِكُونَ ﴿٦٧﴾ وَنُفِخَ فِي الصُّورِ فَصَعِقَ مَن فِي السَّمَاوَاتِ وَمَن فِي الْأَرْضِ

شرک باطل سپدِ تھ چھوہ تُوہہ میہ دپان معبودِ برحقس ورائے بین ہنز عبادت کرن۔ اے نادانو تہٕ جاہلو، ای پیغمبر برحق توہہِ نشہِ کتھ پاٹھ ہیکہِ نعوذ باللہ شرک وکُفر صادر سپد تھ یمیُک تمِ احمق توقع چھہِ تھوان کیازِہ وَلَقَدْ أُوحِيَ إِلَيْكَ وَإِلَى الَّذِينَ مِن قَبْلِكَ لَئِنْ أَشْرَكْتَ لَيَحْبَطَنَّ عَمَلُكَ وَلَتَكُونَنَّ مِنَ الْخَاسِرِينَ تحقیق وحی آو سوزنہ توہہِ کُن تہِ توہہ برونٹھ آس کہ پنہ نین اُمتین وَنو توہہ پرِیتھ اکس فرداً فرداً کہ ہرگاہ ژٕہ شرک بخدا انکھ چان سارے کام گژھہِ ضایٔع۔ بیہ سپد کھ ژٕہ ضرور نقصان تلہ وینو اندرہ۔ لہذا ایتھنہ کافرن ہندہِ بار بار وننہ سیت متاثر سپدِ تھ شرکس کُن مایل سپدو۔ بَلِ اللَّهَ فَاعْبُدْ وَكُن مِّنَ الشَّاكِرِينَ بلکہ کرِو خدایہِ سنزے یاژ عبادت بیہِ آسِو تس شُکر دِپہ وینو اندرہ وَمَا قَدَرُوا اللَّهَ حَقَّ قَدْرِهِ وَالْأَرْضُ جَمِيعًا قَبْضَتُهُ يَوْمَ الْقِيَامَةِ وَالسَّمَاوَاتُ مَطْوِيَّاتٌ بِيَمِينِهِ سُبْحَانَهُ وَتَعَالَىٰ عَمَّا يُشْرِكُونَ افسوس تمو لُوکو کرنہ خدایہ سنز قدرو عظمت تژِھ یژھ لَس شوبہِ ہا۔ حالانکہِ تمسند شان چھُہ کہ سورے زمین آسہ تہنزِ ہ موچھہِ منز قیامتک دوہ ساری آسمان آسن وٕٹھ تہندِ س دچھنس اتھس اندر۔ منزہّ تہٕ پاک بیہِ تھود تہٕ بلند چھُہ شرکہِ چو سارِوے کتھو نشہِ یمہ کتھہ لُوکھ لَس ٹھہراوان چھہِ وَنُفِخَ فِي الصُّورِ فَصَعِقَ مَن فِي السَّمَاوَاتِ وَمَن فِي الْأَرْضِ إِلَّا مَن شَاءَ اللَّهُ

قیامتُک دوہ ییہِ پوٗغس منز پھوکھ دِنہ۔ تمہِ سیت سپدن بے ہوش تمِ ساری یمِ آسمانن تہٕ زمین منز آسن۔ یِم زندہ آسن تمِ مَرن۔ یِم مومت آسن قبرن منز تہندِ روح سپدن بے ہوش۔ مگر یمن ہُند اللہ

اِلَّا مَنْ شَآءَ اللّٰهُ ؕ ثُمَّ نُفِخَ فِيْهِ اُخْرٰى فَاِذَا هُمْ قِيَامٌ يَّنْظُرُوْنَ ﴿۶۸﴾ وَاَشْرَقَتِ الْاَرْضُ بِنُوْرِ رَبِّهَا وَوُضِعَ الْكِتٰبُ وَجِايْٓءَ بِالنَّبِيّٖنَ وَالشُّهَدَآءِ وَقُضِىَ بَيْنَهُمْ بِالْحَقِّ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ ﴿۶۹﴾ وَوُفِّيَتْ كُلُّ نَفْسٍ مَّا عَمِلَتْ وَهُوَ اَعْلَمُ بِمَا يَفْعَلُوْنَ ﴿۷۰﴾ ع وَسِيْقَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِلٰى جَهَنَّمَ زُمَرًا ؕ حَتّٰٓى اِذَا جَآءُوْهَا فُتِحَتْ اَبْوَابُهَا وَقَالَ لَهُمْ خَزَنَتُهَآ اَلَمْ يَاْتِكُمْ رُسُلٌ مِّنْكُمْ يَتْلُوْنَ عَلَيْكُمْ اٰيٰتِ رَبِّكُمْ وَيُنْذِرُوْنَكُمْ لِقَآءَ يَوْمِكُمْ

---

تعالیٰ یژھہِ تمِ روزن اَمہ بے ہوشی تہ مرنہ نِشہِ محفوظ ثُمَّ نُفِخَ فِيْهِ اُخْرٰى فَاِذَا هُمْ قِيَامٌ يَّنْظُرُوْنَ تو پتہ یِیہِ پوٚغس منز بیاکھ پھوکھ دِنہ۔ سہ پھوکھ یانِ دِنہ یِیہِ تانِ ساری ہوشس منز روحن ہُند تعلق سپدِہ بدنن سیت۔ تو پتہ ووتھن قبرو منزہ تھوٚد۔ پرتھ طرفہِ لگن وچھنہِ۔ یتھ پاٹھ کُنہِ حادثہ وقتہ انسان سُند عادت چھہ وَاَشْرَقَتِ الْاَرْضُ بِنُوْرِ رَبِّهَا تو پتہ کرہِ اللہ تعالیٰ حسابہ خاطرہ پنُن تجلّی نزول زمینس پیٹھ زمین سپدِہ روشن پنہٕ نِس پروردگارہ سندِہ نورہ سیت۔ وَوُضِعَ الْكِتٰبُ وَجِايْٓءَ بِالنَّبِيّٖنَ وَالشُّهَدَآءِ وَقُضِىَ بَيْنَهُمْ بِالْحَقِّ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ بیہِ ین پریتھ اَکس برونٹھ کنہِ تھاونہ عملن ہنزہ کتابہ یعنی نامہ اعمال۔ بیہِ ین پیش کرنہ پیغمبر بیہِ تہند گواہ۔ تو پتہ یِیہِ فیصلہ کرنہ تمن منز بعدل۔ تمن یِیہِ نہ کُنہِ قسمہ ظُلم کرنہ وَوُفِّيَتْ كُلُّ نَفْسٍ مَّا عَمِلَتْ وَهُوَ اَعْلَمُ بِمَا يَفْعَلُوْنَ بیہِ یِیہِ پورہ پورہ دنہ پریتھ اَکس تمیُک بدلہ یہ تم کورمُت آسہِ۔ اللہ تعالیٰ چھہ زیادہ زانہٕ ڈن تمہِ سارے کامہِ یمہِ لوکھ کران چھہِ۔ تمہِ بدلُک بیان چھہ یتھہ پاٹھ کہ وَسِيْقَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِلٰى جَهَنَّمَ زُمَرًا حَتّٰٓى اِذَا جَآءُوْهَا فُتِحَتْ اَبْوَابُهَا وَقَالَ لَهُمْ خَزَنَتُهَآ اَلَمْ يَاْتِكُمْ رُسُلٌ مِّنْكُمْ يَتْلُوْنَ عَلَيْكُمْ اٰيٰتِ رَبِّكُمْ تااینکہ یلہِ جہنمس نِشہِ واتن تمہِ ساتہ مِلن مُژراونہ تمکِ دروازہ بیہِ دپنکھ تمہِ ساتہ بطور فضیحت و ملامت جہنمک داروغہ کیاہ توہہ نِش

هٰذَا ۭ قَالُوْا بَلٰى وَلٰكِنْ حَقَّتْ كَلِمَةُ الْعَذَابِ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ ﴿٧١﴾
قِيْلَ ادْخُلُوْٓا اَبْوَابَ جَهَنَّمَ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ۚ فَبِئْسَ مَثْوَى
الْمُتَكَبِّرِيْنَ ﴿٧٢﴾ وَسِيْقَ الَّذِيْنَ اتَّقَوْا رَبَّهُمْ اِلَى الْجَنَّةِ زُمَرًا ۭ
حَتّٰٓى اِذَا جَاۗءُوْهَا وَفُتِحَتْ اَبْوَابُهَا وَقَالَ لَهُمْ خَزَنَتُهَا
سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ طِبْتُمْ فَادْخُلُوْهَا خٰلِدِيْنَ ﴿٧٣﴾ وَقَالُوا
الْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ صَدَقَنَا وَعْدَهٗ وَاَوْرَثَنَا الْاَرْضَ

---

واڙاڻا پيغمبر تِم توهي منزه آس. يم پره هَن بوزه ناوه هَن توهہِ تهندس پروردگاره سند آيات وَيُنْذِرُوْنَكُمْ لِقَاۗءَ يَوْمِكُمْ هٰذَا قَالُوْا بَلٰى وَلٰكِنْ حَقَّتْ كَلِمَةُ الْعَذَابِ عَلَى الْكٰفِرِيْنَ بيہِ کره هَن بيم توهہ تِمہِ دُهکھِ پيش ينک. تِم دپن بے شک آے پيغمبر اَسہِ نِشہِ تمو بوزه ناواُس خدايہ سند آيات. تِم آس اَسہِ تِمہِ دُهک بيم كران. ليكن عذابُک وعده سپُد كافرن پيٹھ پوره تِمن منزاُس تہِ داخل چھِہ قِيْلَ ادْخُلُوْٓا اَبْوَابَ جَهَنَّمَ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا فَبِئْسَ مَثْوَى الْمُتَكَبِّرِيْنَ وننہ ييکھ اَڑِو جهنم كيو دروازو منز. اَتھ جهنّمس منز چُھہ توهہ هميشہِ روزُن غرض خدايہِ سنديو احكامو نِشہِ تكبّر كرن والين هندهِ خاطره كاڑاه يچھ جاي چھہ يہ جهنم. وَسِيْقَ الَّذِيْنَ اتَّقَوْا رَبَّهُمْ اِلَى الْجَنَّةِ زُمَرًا بيہِ ينِ بكمال عزت پكناونہ تِم لوكھ تِمِ پنہ نِس پروردگارس كھوژان اُس، جنتس کُن، تِميُک گوڈنيُک مرتبہ ايمان گوو جماژو جماژو حَتّٰٓى اِذَا جَاۗءُوْهَا وَفُتِحَتْ اَبْوَابُهَا تاآنکہ يلہِ تِم تتھ نزديکھ واتن تِمکی دروازه آسن مُژراونہ آمت برونٹھے يتھنہ تِمن پيارُن پيہِ وَقَالَ لَهُمْ خَزَنَتُهَا بيہِ وَنَن تِمن جنتُک باغوان سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ طِبْتُمْ سلام بوينِ توهہِ اَے جنتيو. تُوهہ روزِو عيش و آرامس منز. فَادْخُلُوْهَا خٰلِدِيْنَ پَس اَڑِوتھہ تِمن جنتن اندر هميشہِ روزنہ خاطره وَقَالُوا الْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ صَدَقَنَا وَعْدَهٗ وَاَوْرَثَنَا الْاَرْضَ نَتَبَوَّاُ مِنَ الْجَنَّةِ حَيْثُ نَشَاۗءُ فَنِعْمَ اَجْرُ الْعٰمِلِيْنَ جنتی وَنن جنتن منز اَڑِتھ، حمد بوينِ تَس معبودِ برحقس يم اَسہِ پنُن وعده پوز کور. اَسِ بناوِن

نَتَبَوَّاُ مِنَ الْجَنَّةِ حَيْثُ نَشَاۤءُ ۚ فَنِعْمَ اَجْرُ الْعٰمِلِيْنَ ﴿۷۴﴾
وَتَرَى الْمَلٰٓئِكَةَ حَآفِّيْنَ مِنْ حَوْلِ الْعَرْشِ يُسَبِّحُوْنَ بِحَمْدِ
رَبِّهِمْ ۚ وَقُضِيَ بَيْنَهُمْ بِالْحَقِّ وَقِيْلَ الْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿۷۵﴾ ع

---

وارِث تہ مالک جنتہ کہِ سَر زمینک۔ جائے رَٹوأس یمہِ جنتہ منزٕ ییتین خوش گرہِ اَسہِ۔ غرض کیاہ رٕژ مزوریاہ تہ رُت بدلاہ چھُہ جنّت عمل تہ محنت کرونین ہندِ خاطرٕ وَتَرَى الْمَلٰٓئِكَةَ حَآفِّيْنَ مِنْ حَوْلِ الْعَرْشِ يُسَبِّحُوْنَ بِحَمْدِ رَبِّهِمْ بیہِ ژِ چھو کھ ٹھہ یارسُول اللہ ملایک حسابچہ اجلاسہ کہِ وقتہ عرشِ مجیدس أنداند گھیر کٔرِ تھ ،حلقہ کٔرِ تھ روزِ تھ تسبیح تہ حمد پران پنہ نٕس پروردگارہ سُند وَقُضِيَ بَيْنَهُمْ بِالْحَقِّ بیہِ یِیہِ لُوکن منز فیصلہ کرنہ یِٕژ یگ تہ انصافٕک وَقِيْلَ الْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ امہِ رتہِ فیصلہ پتہ سپدن پریتھ طرفہ نعرہائِ تحسین بُلند۔ وننہ یِیہِ سارے خوبیہ تہ تعریفہ چھِہ سزاوار معبودِ برحقس یُس عالمیٖن ہُند پروردگار چھُہ۔ یم رُت فیصلہ لوکن منز کورتھمے نعرہ ہائے تحسین پیٹھ سَپدِہ دربار برخواست۔






بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

حٰمٓ ۚ ﴿١﴾ تَنْزِيْلُ الْكِتٰبِ مِنَ اللّٰهِ الْعَزِيْزِ الْعَلِيْمِ ۙ ﴿٢﴾ غَافِرِ الذَّنْۢبِ
وَقَابِلِ التَّوْبِ شَدِيْدِ الْعِقَابِ ذِي الطَّوْلِ ۭ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۭ
اِلَيْهِ الْمَصِيْرُ ﴿٣﴾ مَا يُجَادِلُ فِيْٓ اٰيٰتِ اللّٰهِ اِلَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَلَا
يَغْرُرْكَ تَقَلُّبُهُمْ فِي الْبِلَادِ ﴿٤﴾ كَذَّبَتْ قَبْلَهُمْ قَوْمُ نُوْحٍ وَّ
الْاَحْزَابُ مِنْۢ بَعْدِهِمْ ۠ وَهَمَّتْ كُلُّ اُمَّةٍۢ بِرَسُوْلِهِمْ

---

حٰمٓ تمِ زه حروفِ چهه حروفِ مُقطّعا توَاَندره۔ تمن ہُند معنیٰ زانہِ اللہ تعالیٰ تَنْزِيْلُ الْكِتٰبِ مِنَ اللّٰهِ الْعَزِيْزِ الْعَلِيْمِ یہ کتاب قرآن مجید چهه نازِل کرنہ آمُت اللہ تعالیٰ سندہ طرفہ یُس سیٹھا غالب تہٕ سیٹھاہِ زانہ وُن چهه غَافِرِ الذَّنْۢبِ وَقَابِلِ التَّوْبِ شَدِيْدِ الْعِقَابِ ذِي الطَّوْلِ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ اِلَيْهِ الْمَصِيْرُ سُہ گوناہ بخشہ وُن توبہ قبول کرہ وُن، سخت عذاب کرہ وُن کافِرن تہٕ مُشرکن، قدرت تہٕ وول کانْہہ معبُود اَہ چھُنہ تس ورائے تَس کُن چهه سارنے پتولاکہ واتن مَا يُجَادِلُ فِيْٓ اٰيٰتِ اللّٰهِ اِلَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَلَا يَغْرُرْكَ تَقَلُّبُهُمْ فِي الْبِلَادِ اللہ تعالیٰ سندین آیاتن منز چھُنہ بحث تہٕ اختلاف کران مگر تمِ لوکھ یمو تس انکار کور۔ پَس مہ تراون توہہ دھوکس تہٕ شُبہس منز تِہُند اورہ یور گرُن، پھیرُن تہٕ تھوُرن شہرن منز تجارت کرنہ خاطرہ۔ تمن کونہ چهه کفرہ سببہ کینہہ نقصان گژھان۔ تُوہہ روزِو مطمئن کہ کُنہِ نتہٕ کُنہِ وَقتہ یِن تمِ گرفتار کرنہ كَذَّبَتْ قَبْلَهُمْ قَوْمُ نُوْحٍ وَّ الْاَحْزَابُ مِنْۢ بَعْدِهِمْ تمن مکہ کین کافرن برونٹھ تہٕ چهه انکار کورمُت نوح علیہ السلامہ سند قومَن بیہِ واریہو جماژو تمن پتہٕ وَهَمَّتْ كُلُّ اُمَّةٍۢ بِرَسُوْلِهِمْ لِيَاْخُذُوْهُ وَجَادَلُوْا بِالْبَاطِلِ لِيُدْحِضُوْا بِهِ الْحَقَّ فَاَخَذْتُهُمْ بیہِ کر پریتھ اُمتس اندر

لِيَأْخُذُوهُ وَجَادَلُوا بِالْبَاطِلِ لِيُدْحِضُوا بِهِ الْحَقَّ فَأَخَذْتُهُمْ ۖ فَكَيْفَ كَانَ عِقَابِ ﴿٥﴾ وَكَذَٰلِكَ حَقَّتْ كَلِمَتُ رَبِّكَ عَلَى الَّذِينَ كَفَرُوا أَنَّهُمْ أَصْحَابُ النَّارِ ﴿٦﴾ الَّذِينَ يَحْمِلُونَ الْعَرْشَ وَمَنْ حَوْلَهُ يُسَبِّحُونَ بِحَمْدِ رَبِّهِمْ وَيُؤْمِنُونَ بِهِ وَيَسْتَغْفِرُونَ لِلَّذِينَ آمَنُوا رَبَّنَا وَسِعْتَ كُلَّ شَيْءٍ رَّحْمَةً وَعِلْمًا فَاغْفِرْ لِلَّذِينَ تَابُوا وَاتَّبَعُوا سَبِيلَكَ وَقِهِمْ عَذَابَ الْجَحِيمِ ﴿٧﴾

---

ارادہ پڑھ نہ کرہ ونیولوکو کہ تمِ گرہ ہَن پنہ نِس پیغمبرس گرفتار کُرِ تھ قتل کرنُک، بیہِ کور تموا پزِ یو کتھو سیت تنازہ یتھ تمِ تمہِ اپزِہ سیت پزِس باطِل گرن۔ ادہ رٹ میہ تمِ فَكَيْفَ كَانَ عِقَابِ اَدہ چھے خبر میون سزا کیتھ اوس تھندِہ حقہ۔ یتھِہ پاٹھ تمن دنیاءس منز سزا آوَدِنہ وَكَذَٰلِكَ حَقَّتْ كَلِمَتُ رَبِّكَ عَلَى الَّذِينَ كَفَرُوا أَنَّهُمْ أَصْحَابُ النَّارِ یتھے پاٹھ چھہ سارنے کافرن ہندِہ حقہِ تھندِس پروردگارہ سُند حکم ازلی ثابت سپُد مُت کہ تمِ آسَن ضرور آخر تس اندر نارس اندر واتہ ون یعنی تمن سپدِہ یتہِ سزا اتہِ تہِ آسہِ تمن ابدی سزا یتھے پاٹھ بنہِ۔ تمن موجودہ وقتہ کین ہُند حال اتھ بدلِ تمِ با ایمان تہ مُوحدّ چھہِ تمِ چھہِ خدایس نشہِ تتھی مکرّم تہ محترم کہ ملائکہِ مُقربینن چھہ مولاء سندِس تسبیح و تقدیس سیت وظیفہ مقرر آمُت تھاونہ با ایمانن ہندِہ خاطرہ دعا و استغفار کرُن۔ یمہِ سیت ظاہر چھہ سپدان با ایمان گمہِ قسمہ چھہِ اللہ تعالیٰ اَس نشہِ محبوب تہ مُقرب۔ چنانچہ اللہ تعالیٰ چھہ فرماوان الَّذِينَ يَحْمِلُونَ الْعَرْشَ وَمَنْ حَوْلَهُ يُسَبِّحُونَ بِحَمْدِ رَبِّهِمْ وَيُؤْمِنُونَ بِهِ تمِ ملایک عرش مجیدس تُلِتھ چھہِ بیہِ تمِ ملایکھ تمِ تتھ اَند اَند روزِ تھ چھہ یا طواف کران چھہِ تمِ چھہِ تسبیح تہ حمد دیان پنہ نِس پَروردگارہ سُند بیہِ چھہِ تس پیٹھ پور پزِ ھ کُرِ تھ وَيَسْتَغْفِرُونَ لِلَّذِينَ آمَنُوا بیہِ چھہِ تمِ ملایک مغفرت منگان تمن لوکن ہندِہ خاطرہ تمو ایمان اُون۔ دیان چھہ رَبَّنَا وَسِعْتَ كُلَّ شَيْءٍ رَّحْمَةً وَعِلْمًا فَاغْفِرْ لِلَّذِينَ تَابُوا وَاتَّبَعُوا سَبِيلَكَ وَقِهِمْ عَذَابَ الْجَحِيمِ اے سانہِ پَروردگارہ پرِ یتھ چیزس چھہ واتھ چان رحمت تہ چوٗن علم پس کرژہ

رَبَّنَا وَأَدْخِلْهُمْ جَنّٰتِ عَدْنِ الَّتِيْ وَعَدْتَّهُمْ وَمَنْ صَلَحَ
مِنْ اٰبَآئِهِمْ وَاَزْوَاجِهِمْ وَذُرِّيّٰتِهِمْ ؕ اِنَّكَ اَنْتَ الْعَزِيْزُ
الْحَكِيْمُ ﴿٨﴾ وَقِهِمُ السَّيِّاٰتِ ؕ وَمَنْ تَقِ السَّيِّاٰتِ يَوْمَئِذٍ
فَقَدْ رَحِمْتَهٗ ؕ وَذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ ﴿٩﴾ اِنَّ الَّذِيْنَ
كَفَرُوْا يُنَادَوْنَ لَمَقْتُ اللّٰهِ اَكْبَرُ مِنْ مَّقْتِكُمْ اَنْفُسَكُمْ
اِذْ تُدْعَوْنَ اِلَى الْاِيْمَانِ فَتَكْفُرُوْنَ ﴿١٠﴾ قَالُوْا رَبَّنَآ اَمَتَّنَا

---

مغفرت تن لوڪن جي جو شرڪ ۽ ڪفر ۾ نشي توبه ڪئي آهي ۽ ڪري پيروي ڪيائون توهان جي رستي جي ته هن کي جهنم جي عذاب ۾ نشي. رَبَّنَا وَاَدْخِلْهُمْ جَنّٰتِ عَدْنِ الَّتِيْ وَعَدْتَّهُمْ اي اسان جا پروردگار ۽ داخل ڪر انهن کي هميشه رهڻ وارين جنتن اندر جن جنتن جو تو انهن سان وعدو ڪيو آهي. وَمَنْ صَلَحَ مِنْ اٰبَآئِهِمْ وَاَزْوَاجِهِمْ وَذُرِّيّٰتِهِمْ اِنَّكَ اَنْتَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ۽ انهن جي ابن ڏاڏن ۽ انهن جي زالن ۽ انهن جي اولاد مان، جيڪي لائق آهن يعني باايمان آهن بيشڪ تون زبردست حڪمت وارو آهين. وَقِهِمُ السَّيِّاٰتِ وَمَنْ تَقِ السَّيِّاٰتِ يَوْمَئِذٍ فَقَدْ رَحِمْتَهٗ ۽ بچاءِ تون انهن کي قيامت جي ڏينهن سڀني تڪليفن ۾ ميدان محشر جي تڪليفن ۽ پريشانين ۾. جنهن کي تو ان ڏينهن تڪليفن ۾ بيشڪ ان تي وڏي مهرباني ڪئي. وَذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ ۽ اها مغفرت ۽ حفاظت عذاب اڪبر ۾ ۽ عذاب اصغر ۾ ۽ جنتن ۾ داخل ٿيڻ وڏي ڪاميابي آهي. اِنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا يُنَادَوْنَ لَمَقْتُ اللّٰهِ اَكْبَرُ مِنْ مَّقْتِكُمْ اَنْفُسَكُمْ اِذْ تُدْعَوْنَ اِلَى الْاِيْمَانِ فَتَكْفُرُوْنَ بيشڪ جن ماڻهن ڪفر ڪيو جهنم ۾ داخل ٿيڻ کان پوءِ پنهنجي ڪفر ۽ شرڪ تي حسرت ۽ افسوس ڪندا ۽ سخت ڏک اندر پاڻ تي ڪاوڙ ڪندا. پوءِ انهن کي سڏيو ويندو قيامت جي ڏينهن اي ڪافرو! توهان جيتري پاڻ تي بيزار آهيو، الله تعالى اوس توهان کان دنيا ۾ انهن کان وڌيڪ بيزار هو جڏهن توهان کي ايمان ڏانهن سڏيو ويندو هو ته توهان انڪار ڪندا هئا.

اثْنَتَيْنِ وَأَحْيَيْتَنَا اثْنَتَيْنِ فَاعْتَرَفْنَا بِذُنُوبِنَا فَهَلْ إِلَىٰ
خُرُوجٍ مِّن سَبِيلٍ ﴿١١﴾ ذَٰلِكُم بِأَنَّهُ إِذَا دُعِيَ اللَّهُ وَحْدَهُ
كَفَرْتُمْ ۖ وَإِن يُشْرَكْ بِهِ تُؤْمِنُوا ۚ فَالْحُكْمُ لِلَّهِ الْعَلِيِّ الْكَبِيرِ ﴿١٢﴾
هُوَ الَّذِي يُرِيكُمْ آيَاتِهِ وَيُنَزِّلُ لَكُم مِّنَ السَّمَاءِ رِزْقًا ۚ
وَمَا يَتَذَكَّرُ إِلَّا مَن يُنِيبُ ﴿١٣﴾ فَادْعُوا اللَّهَ مُخْلِصِينَ لَهُ
الدِّينَ وَلَوْ كَرِهَ الْكَافِرُونَ ﴿١٤﴾ رَفِيعُ الدَّرَجَاتِ ذُو الْعَرْشِ ۚ

---

تُوہہ اِنکار کران **قَالُوا رَبَّنَا أَمَتَّنَا اثْنَتَيْنِ وَأَحْيَيْتَنَا اثْنَتَيْنِ فَاعْتَرَفْنَا بِذُنُوبِنَا فَهَلْ إِلَىٰ خُرُوجٍ مِّن سَبِيلٍ** تِم دپن اَے ساںہِ پروردگارہ، مارتھ ژیہ اَس دوِیہ پھِرہ اکھ پادہ سپدنہ برونٹھ بیہِ دنیاچہِ زندگی پتہٕ۔ زندہ تہٕ کٔرِتھ ژیہ اَس دوِیہ پھِرہ اکھ دنیاء چ زندگی دوٛیمِ آخرتچ زندگی۔ یمہِ گٔییہِ ژور حالتھ۔ یموٚ اَندرہ اَسِ آسِ انکار کران اَکِس حالتس سٕہ گوو مرنہ پتہٕ بیہِ زندہ سَپدنُس۔ پس چھِہ اَس اقرار کران پنٕہ نین گونہن۔ وون چھاکینہہ وتھاہ۔ یمہِ جہنمہ منزہ نیرَنچ۔ دنیاءس اندر واٛتھ گرہ ہوا اَس یمن سارِنے گونہن ہُند تدارک جواب ییکھ دنہ کہ ہرگزنہ۔ تہندِ خاطر چھنہ نیرَنچ کہنہ صورتھ۔

تہندِہ خاطرہ چھُہ ہمیشہ یتی روزنک حکم جاری آمُت کرنہ **ذَٰلِكُم بِأَنَّهُ إِذَا دُعِيَ اللَّهُ وَحْدَهُ كَفَرْتُمْ ۖ وَإِن يُشْرَكْ بِهِ تُؤْمِنُوا ۚ فَالْحُكْمُ لِلَّهِ الْعَلِيِّ الْكَبِيرِ** یہِ سزا چھُہ توہہِ اَمی موکھ دنیاءس منزیلہِ کُنہِ سے خدایَس نا داوس یوان دِنہ توہہ اسوہ تتھ انکار کران ہرگاتَس شریک ٹھہراونہ اس یوان تتھ اسوہ کران تُہہ پَرشہ تہٕ تسلیم۔ اَز چھہ تَس خدلیہِ سنز حکومتھ یُس تھودتہٕ بوڑ چھُہ تس پیٹھکِن چھُنہ کانہہ تہِ یُس تہندِس حُکمس پھِرٕ اوہ ہا۔ **هُوَ الَّذِي يُرِيكُمْ آيَاتِهِ وَيُنَزِّلُ لَكُم مِّنَ السَّمَاءِ رِزْقًا ۚ وَمَا يَتَذَكَّرُ إِلَّا مَن يُنِيبُ** سُہ گوٚسی یُس توہہ ہاوان چھُہ پننہِ قدرتک نشانہ بیہِ چھُہ سوزان آسمانکہ طرفہ تہندِہ خاطرہ رزق۔ سوزنَ تہٕ چھُہ تُہندِہ قدرتہٕ کیو نشانو اَندرہ اکھ نِشانہ۔ یِم نِشانہ وچھنہ سیت رَٹہِ نہ نصیحت مگر سُی یُس خدایس کُن رجوع کرُنک ارادہ آسہِ تھاوان۔ وون یلہِ توحیدس پیٹھ دلیل قایمِ چھُہ **فَادْعُوا اللَّهَ مُخْلِصِينَ لَهُ الدِّينَ وَلَوْ كَرِهَ**

يُلْقِي الرُّوحَ مِنْ أَمْرِهٖ عَلٰى مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ لِيُنْذِرَ يَوْمَ التَّلَاقِ ﴿۱۵﴾ يَوْمَ هُمْ بٰرِزُوْنَ ۚ لَا يَخْفٰى عَلَى اللّٰهِ مِنْهُمْ شَيْءٌ ؕ لِمَنِ الْمُلْكُ الْيَوْمَ ؕ لِلّٰهِ الْوَاحِدِ الْقَهَّارِ ﴿۱۶﴾ اَلْيَوْمَ تُجْزٰى كُلُّ نَفْسٍۭ بِمَا كَسَبَتْ ؕ لَا ظُلْمَ الْيَوْمَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ سَرِيْعُ الْحِسَابِ ﴿۱۷﴾ وَاَنْذِرْهُمْ يَوْمَ الْاٰزِفَةِ اِذِ الْقُلُوْبُ لَدَى الْحَنَاجِرِ كٰظِمِيْنَ ۚ مَا لِلظّٰلِمِيْنَ مِنْ حَمِيْمٍ وَّلَا شَفِيْعٍ

---

الْكٰفِرُوْنَ اے لوکو کُفر و شرک تراوِ تھ منگو توہہ معبودِ برحقس، تسیٔ یاڑ بندہ گی مخصوص زانتھ اگرچہ کھٔرِ تن تہٕ ناگوار گذرِ تن مُنکرن تہٕ کافرن رَفِيْعُ الدَّرَجٰتِ ذُو الْعَرْشِ يُلْقِي الرُّوْحَ مِنْ اَمْرِهٖ عَلٰى مَنْ يَّشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ لِيُنْذِرَ يَوْمَ التَّلَاقِ سُہ چھُہ تھود درجہ وول۔ باایمانن ہُند درجہٕ چھُہ بُلند کرہ وُن۔ عرش مجیدُک مالِک چھُہ سُی۔ سُی چھُہ سوزان وَحی پننہٕ حُکمہ سیت۔ پننہ نیو بندٕ و اندرہ یَس پیٹھ سُہ یژھان چھُہ، یُتھ سُہ بندہٕ خاص لوکن بیم کرہ قیامژہ دُہک۔ یمہِ دوہہ ساری جمع سپدن يَوْمَ هُمْ بٰرِزُوْنَ لَا يَخْفٰى عَلَى اللّٰهِ مِنْهُمْ شَيْءٌ یمہِ دوہہ تِم ساری لوکھ قبر و منزہ نیرن نیبر، تو پتہٕ سپدن جمع خدایس برونٹھ کنہِ کھٹتھ روزِہ نہٕ تِہنز کانہہ کتھاہ اللہ تعالیٰ اَس نشہٕ نہٕ تِہند کانہہ چیز اہ۔ اللہ تعالیٰ فرماوِہ لِمَنِ الْمُلْكُ الْيَوْمَ ازکہنز سنا حکومتھ چھِہ۔ کانہہ تہٕ ہیکہٕ نہٕ جواب دِتھ۔ پانے فرماوِہ اللہ تعالیٰ لِلّٰهِ الْوَاحِدِ الْقَهَّارِ ازچھُہ حکومتھ اکسی خدایہ سنز۔ یُس قہرہ وول تہٕ غلبہ وول چھُہ اَلْيَوْمَ تُجْزٰى كُلُّ نَفْسٍۭ بِمَا كَسَبَتْ لَا ظُلْمَ الْيَوْمَ اِنَّ اللّٰهَ سَرِيْعُ الْحِسَابِ ازیِیہ پرِیتھ اکس بدلہ دِنہٕ تِمہِ سارِ کیو یہ تِم کورمُت آسہِ دُنیاءِ س اندر۔ ازیِیہ نہٕ کانسہِ نسبت کُنہِ قِسمہ ظُلم کرنہٕ۔ بیشک اللہ تعالیٰ چھُہ جلد حساب ہیوہ وُن۔ یتھ پاٹھ سارنے پیغمبرن آو حکم کرنہٕ کہ قیامژہ دُہک کٔرِ ولوکن بیم یتھے پاٹھ چھُہ توہہ تہٕ حکم کرنہ یوان وَاَنْذِرْهُمْ يَوْمَ الْاٰزِفَةِ اِذِ الْقُلُوْبُ لَدَى الْحَنَاجِرِ كٰظِمِيْنَ تُہہ تہٕ کٔرِ وِحض بیم لُوکن یارسول اللہ اکہ نزدیک یوہ وُنہِ مصیبتہٕ کہٕ دُہک یلہ وانِجہ آسن لُوکن واژمژہ ہرس پیٹھ۔ تِمے آسکھ غمہ سیت پُر

يُطَاعُ ﴿١٨﴾ يَعْلَمُ خَآئِنَةَ الْاَعْيُنِ وَمَا تُخْفِي الصُّدُوْرُ ﴿١٩﴾
وَاللّٰهُ يَقْضِيْ بِالْحَقِّ ؕ وَالَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖ لَا
يَقْضُوْنَ بِشَيْءٍ ؕ اِنَّ اللّٰهَ هُوَ السَّمِيْعُ الْبَصِيْرُ ﴿٢٠﴾ ع اَوَلَمْ
يَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَيَنْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ
كَانُوْا مِنْ قَبْلِهِمْ ؕ كَانُوْا هُمْ اَشَدَّ مِنْهُمْ قُوَّةً وَّاٰثَارًا فِي
الْاَرْضِ فَاَخَذَهُمُ اللّٰهُ بِذُنُوْبِهِمْ ؕ وَمَا كَانَ لَهُمْ مِّنَ اللّٰهِ
مِنْ وَّاقٍ ﴿٢١﴾ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ كَانَتْ تَّاْتِيْهِمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ

---

مَا لِلظّٰلِمِيْنَ مِنْ حَمِيْمٍ وَّلَا شَفِيْعٍ يُّطَاعُ تمهِ ڏينهن آسنهِ مُشرڪن ته ڪافرن ڪانهه ولي دوستاه نه ڪانهه سفارِش گرهڻناه ٻيسز سفارِش مانڻه ٻيهِ ها يَعْلَمُ خَآئِنَةَ الْاَعْيُنِ وَمَا تُخْفِي الصُّدُوْرُ الله تعالیٰ ڇهه زانان اڇهن هندِس خيانتس بيهِ تمن سارِنے ڪٿهن تمن دِل ڪٿهٽهه ٿاوان ڇهه۔ يمه اڪٿهه سين منز پوشيده آسان ڇهه تمن پيٺهه نه ڪانهه واقِف سپدان ڇهه وَاللّٰهُ يَقْضِيْ بِالْحَقِّ الله تعالیٰ سُند علم ڇهه ڪامِل۔ سُه ڪرهِ پوز فاصله تمهِ ڏينهه وَالَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهٖ لَا يَقْضُوْنَ بِشَيْءٍ اِنَّ اللّٰهَ هُوَ السَّمِيْعُ الْبَصِيْرُ بيهِ تمن باطل معبودن يم لوکھ خدايس ورائے آلوددوان ڇهِ تمِ هيڪن نه ڪُنهِ قسمه فاصله ڪرِتھ ڪيازِه بيشڪ الله تعالیٰ اے ڇهه سُه سورُی وڇهِ ڏن۔ اَوَلَمْ يَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَيَنْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ كَانُوْا مِنْ قَبْلِهِمْ ڪياهِ تم لوکھِ ڇهنا ڦير مت شام وِ يمنه ڪِس ملڪس اندر تاڪه وڇهِ هَن تمِ ڪياه ڇهه سپد مُت انجام تمن نافرمان لوڪن هُند يم تمن برونٹھ اُس كَانُوْا هُمْ اَشَدَّ مِنْهُمْ قُوَّةً وَّاٰثَارًا فِي الْاَرْضِ فَاَخَذَهُمُ اللّٰهُ بِذُنُوْبِهِمْ تمِ اُس تهندِه خوته زياده قوته ڪن بيهِ تمو تراوٍتھ ڳُن زمينس اندر بجه بجه عمارژ۔ تو پته رٹ تمِ الله تعالیٰ ان ڪُرِن گرفتار عذاب تهنديو گونهو سببه وَمَا كَانَ لَهُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ وَّاقٍ تو پته تِه اوس نه تمن ڪانهه بچاوَن وولاه خدايه سندهِ عذابه نشهِ ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ

فَكَفَرُوْا فَاَخَذَهُمُ اللّٰهُ ؕ اِنَّهٗ قَوِيٌّ شَدِيْدُ الْعِقَابِ ﴿۲۲﴾ وَلَقَدْ
اَرْسَلْنَا مُوْسٰى بِاٰيٰتِنَا وَسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ ﴿۲۳﴾ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَ
هَامٰنَ وَقَارُوْنَ فَقَالُوْا سٰحِرٌ كَذَّابٌ ﴿۲۴﴾ فَلَمَّا جَآءَهُمْ
بِالْحَقِّ مِنْ عِنْدِنَا قَالُوا اقْتُلُوْٓا اَبْنَآءَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ
وَاسْتَحْيُوْا نِسَآءَهُمْ ؕ وَمَا كَيْدُ الْكٰفِرِيْنَ اِلَّا فِيْ ضَلٰلٍ ﴿۲۵﴾
وَقَالَ فِرْعَوْنُ ذَرُوْنِيْٓ اَقْتُلْ مُوْسٰى وَلْيَدْعُ رَبَّهٗ ۚ اِنِّيْٓ

---

كَانَتْ تَّاْتِيْهِمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ فَكَفَرُوْا فَاَخَذَهُمُ اللّٰهُ اِنَّهٗ قَوِيٌّ شَدِيْدُ الْعِقَابِ يہ عذاب سِڀ تِن
پيڙهيَن مٿي نازِل ٿيو جن وٽ اُنهن جا پيغمبر چٽا دليل کڻي آيا. تو به اُهي انڪار ڪندا رهيا. پوءِ ڪيئن
اُنهن کي الله تعاليٰ عذاب ۾ گرفتار ڪيو. بيشڪ الله وڏو طاقتور ۽ سخت عذاب ڪرڻ وارو آهي. وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا
مُوْسٰى بِاٰيٰتِنَا وَسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ پڻ پاڻ موسيٰ عليه السلام کي پنهنجون آيتون ۽ روشن دليل ڏئي
اِلٰى فِرْعَوْنَ وَهَامٰنَ وَقَارُوْنَ فَقَالُوْا سٰحِرٌ كَذَّابٌ فرعون هامان ۽ قارون ڏانهن موڪليو اُنهن
چيو ته جادوگر ۽ ڪوڙو آهي فَلَمَّا جَآءَهُمْ بِالْحَقِّ مِنْ عِنْدِنَا قَالُوا اقْتُلُوْٓا اَبْنَآءَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا مَعَهٗ
وَاسْتَحْيُوْا نِسَآءَهُمْ تو پوءِ جڏهن موسيٰ عليه السلام عام ماڻهن جي سامهون اسان وٽان حق کڻي آيو تڏهن
چيائون ته جن ايمان آندو آهي تن جا پٽ قتل ڪريو. اُهي ڪافر اُن طرح مشورو ڪري ماريو ڪيتري ماڻهن کي
جيڪي ايمان آندا حضرت موسيٰ سان گڏ. جيئن ته ماڻهن جي طاقت زياده ٿئي پوءِ اهو انديشو
سلطنت جي زوال جو. ڪوڙن جي ڌيئرن کي زنده رکيو ويندو ته اُهي خدمت ڪن ۽ ڪم ڪار ڪن. يہ سوچ هو غلبو
موسيٰ جي پيروڪار جي تدبير وَمَا كَيْدُ الْكٰفِرِيْنَ اِلَّا فِيْ ضَلٰلٍ ڪافرن جي تدبير هئي مگر بالڪل بي اثر
وَقَالَ فِرْعَوْنُ ذَرُوْنِيْٓ اَقْتُلْ مُوْسٰى وَلْيَدْعُ رَبَّهٗ ۽ فرعون چيو ته مون کي ڇڏيو ته موسيٰ کي ماريان.
غالباً اُهو اهلِ دربار کي ترڪ حرڪت ڪرڻ جي ترغيب ڏيندو هو. گهڻو ڪري فرياد ڪري پنهنجي خدا کي به
ويچاري ڪهڙي پاڻ بچائي سگهندو اِنِّيْٓ اَخَافُ اَنْ يُّبَدِّلَ دِيْنَكُمْ اَوْ اَنْ يُّظْهِرَ فِي الْاَرْضِ الْفَسَادَ

اَخَافُ اَنْ يُّبَدِّلَ دِيْنَكُمْ اَوْ اَنْ يُّظْهِرَ فِى الْاَرْضِ الْفَسَادَ ﴿۲۶﴾ وَقَالَ مُوْسٰۤى اِنِّىْ عُذْتُ بِرَبِّىْ وَرَبِّكُمْ مِّنْ كُلِّ مُتَكَبِّرٍ لَّا يُؤْمِنُ بِيَوْمِ الْحِسَابِ ﴿۲۷﴾ وَقَالَ رَجُلٌ مُّؤْمِنٌ مِّنْ اٰلِ فِرْعَوْنَ يَكْتُمُ اِيْمَانَهٗۤ اَتَقْتُلُوْنَ رَجُلًا اَنْ يَّقُوْلَ رَبِّىَ اللّٰهُ وَقَدْ جَآءَكُمْ بِالْبَيِّنٰتِ مِنْ رَّبِّكُمْ ؕ وَاِنْ يَّكُ كَاذِبًا فَعَلَيْهِ كَذِبُهٗ ۚ وَاِنْ يَّكُ صَادِقًا يُّصِبْكُمْ بَعْضُ الَّذِىْ يَعِدُكُمْ ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِىْ مَنْ هُوَ مُسْرِفٌ

---

میہ چھُ خطرہ گژھان کہ سُہ بدلاوِہ دین تُہند۔ بیہِ ما پھیلاوِہ مُلکس منز تباہی۔ یمہِ سیت سان سلطنت کرِہ ختم وَقَالَ مُوْسٰۤى اِنِّىْ عُذْتُ بِرَبِّىْ وَرَبِّكُمْ مِّنْ كُلِّ مُتَكَبِّرٍ لَّا يُؤْمِنُ بِيَوْمِ الْحِسَابِ موسیٰ علیہ السلام من دوپ پنہ نِس قومس تُوہہ مہ بُر وِپر واکینہِ بہ چھُسنہ کھوژان فرعونہ سندِس خوف دِنس۔ میہ چھُ پناہ ہیوت مُت پنہ نِس تہ تُہندِس خدایہِ سندِہ سیت پریتھ مغرور شخصہ سندِہ شرہ نشہِ یُس نہ پڑھ چھُ حسابچہ دُہچ وَقَالَ رَجُلٌ مُّؤْمِنٌ مِّنْ اٰلِ فِرْعَوْنَ يَكْتُمُ اِيْمَانَهٗۤ اَتَقْتُلُوْنَ رَجُلًا اَنْ يَّقُوْلَ رَبِّىَ اللّٰهُ وَقَدْ جَآءَكُمْ بِالْبَيِّنٰتِ مِنْ رَّبِّكُمْ تو پتہ دون اکھ باایمان مردن یُس اتھ مشورچہ مجلسہ منز اوس فرعونہ سندِہ خاندانہ منز، یُس پننُ ایمان کھٹتھ تھاوان اوس اے لوکو کیاہ تُہہ چھوہ نہ اکھ شخصاہ محض یمہِ کتھہ خاطرہ ماران کہِ سُہ چھُ دپان میون معبود چھُ اللّٰہ تعالیٰ حالانکہ سُہ چھُ توہہِ نشہِ ننہ دلیلہ پیش کران پنہ نِس پروردگارہ سندِہ طرفہ وَاِنْ يَّكُ كَاذِبًا فَعَلَيْهِ كَذِبُهٗ اگر سُہ بالفرض اپُز ونان آسہِ تس چھُ تمیک وبال پانس وَاِنْ يَّكُ صَادِقًا يُّصِبْكُمْ بَعْضُ الَّذِىْ يَعِدُكُمْ ہرگاہ سُہ پزِ زیور آسہِ تلہِ واتہِ توہہِ ضرور تمہِ منزہ کینہہ یمیُک سُہ توہہِ وعید چھُ کران اِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِىْ مَنْ هُوَ مُسْرِفٌ كَذَّابٌ اللّٰہ تعالیٰ چھُنہ وَتہ ہاوان تس شخصس یُس حدہ ڈلہ وُن تہ سخت اپزیور آسہِ يٰقَوْمِ لَكُمُ

كَذَّابٌ ﴿٢٨﴾ يٰقَوْمِ لَكُمُ الْمُلْكُ الْيَوْمَ ظٰهِرِيْنَ فِي الْاَرْضِ
فَمَنْ يَّنْصُرُنَا مِنْۢ بَاْسِ اللّٰهِ اِنْ جَآءَنَا ؕ قَالَ فِرْعَوْنُ
مَآ اُرِيْكُمْ اِلَّا مَآ اَرٰى وَمَآ اَهْدِيْكُمْ اِلَّا سَبِيْلَ الرَّشَادِ ﴿٢٩﴾
وَقَالَ الَّذِيْٓ اٰمَنَ يٰقَوْمِ اِنِّيْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ مِّثْلَ
يَوْمِ الْاَحْزَابِ ﴿٣٠﴾ مِثْلَ دَاْبِ قَوْمِ نُوْحٍ وَّعَادٍ وَّثَمُوْدَ
وَالَّذِيْنَ مِنْۢ بَعْدِهِمْ ؕ وَمَا اللّٰهُ يُرِيْدُ ظُلْمًا لِّلْعِبَادِ ﴿٣١﴾
وَيٰقَوْمِ اِنِّيْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ يَوْمَ التَّنَادِ ﴿٣٢﴾

---

الْمُلْكُ الْيَوْمَ ظٰهِرِيْنَ فِي الْاَرْضِ اے قوم از چھ توہہ سلطنت ته حکومت۔ تہہ ڇھوه غالب یتھ مملکتس اندر فَمَنْ يَّنْصُرُنَا مِنْۢ بَاْسِ اللّٰهِ اِنْ جَآءَنَا ہر گاه تُہہ حضرت موسیٰ شهید کریون۔ تمہِ پتے خدایہِ سِندهِ طرفہ کانہہ بلایاه واتتھ پیہ تمہِ ساتہ کُہہ کرهِ اَسہِ مدد ته یاری۔ کُہہ بچاوه اَسہِ تمہِ بلایہِ نِشہِ قَالَ فِرْعَوْنُ مَآ اُرِيْكُمْ اِلَّا مَآ اَرٰى وَمَآ اَهْدِيْكُمْ اِلَّا سَبِيْلَ الرَّشَادِ یہ بوز تھ وڈن فرعونن بہ چھُسنہ توہہ مشوره دیوان مگر تمی کتھ ہندیوس میہ پانس جان آیہ بوزنہ سُہ گو موسیٰ قتل کرُن به چھُسنہ توہہ ہاوان مگر سوی وتھ یوس سیز چھ یتھہ منز عین مصلحت چھ وَقَالَ الَّذِيْٓ اٰمَنَ يٰقَوْمِ اِنِّيْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ مِّثْلَ يَوْمِ الْاَحْزَابِ یلہِ تم بایمان شخصن ڈچھ کہ نرم تقریره سیت بنیونہ کینہہ، تم ہیوت زوردار تقریر کرُن۔ تو پتہ وون تم بایمان مردن اے قوم مہِ چھ خطره گڑھان تہندِ ه حقہ توہہ پیٹھ تہِ مایہِ تُتھ دوه یُتھ برو ٹھمین لوکن پیٹھ آمُت چھ مِثْلَ دَاْبِ قَوْمِ نُوْحٍ وَّعَادٍ وَّثَمُوْدَ وَالَّذِيْنَ مِنْۢ بَعْدِهِمْ ؕ وَمَا اللّٰهُ يُرِيْدُ ظُلْمًا لِّلْعِبَادِ یُتھ حال بنیومُت چھ قومِ نوحس، قوم عادس، قوم ثمودس، بیہِ تمن لوکن یم تمن پتہ آس۔ اللہ تعالیٰ چھنہ بندن پیٹھ ظُلم کرُن یژھان وَيٰقَوْمِ اِنِّيْٓ اَخَافُ

يَوْمَ تُوَلُّوْنَ مُدْبِرِيْنَ ۚ مَا لَكُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ عَاصِمٍ ۚ وَمَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنْ هَادٍ ﴿٣٣﴾ وَلَقَدْ جَآءَكُمْ يُوْسُفُ مِنْ قَبْلُ بِالْبَيِّنٰتِ فَمَا زِلْتُمْ فِيْ شَكٍّ مِّمَّا جَآءَكُمْ بِهٖ ؕ حَتّٰٓى اِذَا هَلَكَ قُلْتُمْ لَنْ يَّبْعَثَ اللّٰهُ مِنْ بَعْدِهٖ رَسُوْلًا ؕ كَذٰلِكَ يُضِلُّ اللّٰهُ مَنْ هُوَ مُسْرِفٌ مُّرْتَابُ ۚ ﴿٣٤﴾ ۨالَّذِيْنَ يُجَادِلُوْنَ فِيْٓ اٰيٰتِ اللّٰهِ بِغَيْرِ سُلْطٰنٍ اَتٰىهُمْ ۭ كَبُرَ مَقْتًا عِنْدَ اللّٰهِ وَعِنْدَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا ۭ كَذٰلِكَ يَطْبَعُ

---

عَلَيْكُمْ يَوْمَ التَّنَادِ اي ميانِ قومه ٻه ڇهُس کھوڙان ٿهندِه خاطره تته دوهَس يَتھ منز وارياه آلو ڀين دِنه۔ گوڈينگ نداگوو پوٗغس منز ييہِ ڦوکھ دِنه۔ يِمہِ آوازِه سيت ساري مُرده زنده گرڅهن۔ بيہِ ييہِ پريتھ اَکس شخصس پننہِ ماجہِ سيت نسبت کرِ تھ نداکرنه يَوْمَ تُوَلُّوْنَ مُدْبِرِيْنَ يِمہِ دوهہ ٿهہ ژلان آسو تھر ڦھرِ تھ حسابه که موقعه نِشہِ دوزخس کُن۔ مَا لَكُمْ مِّنَ اللّٰهِ مِنْ عَاصِمٍ تِمہِ سات آسہِ نه کانہہ تہِ توہہِ خدايہِ سندِه عذابه نِشہِ بچاوهٕ وُن۔ يہِ مضمون اوس سيٹھاه غايت درجہِ ہدايتس مقتضي وَمَنْ يُّضْلِلِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنْ هَادٍ مگريس خداوَ تھ راورِه تَس ڇهُنه کانہہ تہِ وَتھ ہاوهٕ وُن وَلَقَدْ جَآءَكُمْ يُوْسُفُ مِنْ قَبْلُ بِالْبَيِّنٰتِ فَمَا زِلْتُمْ فِيْ شَكٍّ مِّمَّا جَآءَكُمْ بِهٖ بتحقيق بيہِ آوَ توہہِ کُن موسيٰ عليہ السلامس برونٹھ يوسف عليہ السلام نِنہِ دليله هيتھ۔ پَس رودوه تُوهہ هميشہ شک کران تتھ منزيہِ سه توہہِ کُن هيتھ آمُت اُوس خدايہِ سُند پيغام حَتّٰٓى اِذَا هَلَكَ قُلْتُمْ لَنْ يَّبْعَثَ اللّٰهُ مِنْ بَعْدِهٖ رَسُوْلًا تااينکہِ يلہِ تمِ گئے يِمہِ عالمه ٿُهہ لگه وهٕ ونہِ پانَے وون سوزِه نه الله تعاليٰ يُوسف عليہ السلامَس پته کانسہِ پيغمبرَس كَذٰلِكَ يُضِلُّ اللّٰهُ مَنْ هُوَ مُسْرِفٌ مُّرْتَابُ يَتھے پاٹھ ڇهہ الله تعاليٰ وَتھ راوران تہِ غلطي منز ٿھاوان تِمن لُوکن يِم حده ڇهہِ ڈلان انکار کرنس اَندربيہِ يِمہِ شک ڇهہِ کران اِۨلَّذِيْنَ يُجَادِلُوْنَ فِيْٓ اٰيٰتِ اللّٰهِ بِغَيْرِ سُلْطٰنٍ اَتٰىهُمْ تمِ گےتِمے يِمہِ بحث تہِ قضيہِ ڇهہِ لاگان الله تعاليٰ سندين آياتن اندر کُنہِ تِرِڻهہ دليلہِ ورائے يوسه تِمن نِشہِ واَژمژ آسہِ ہا۔ كَبُرَ مَقْتًا عِنْدَ اللّٰهِ وَعِنْدَ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا الله تعاليٰ اَس ڇهہِ سيٹھا نفرت امہِ کج

اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ قَلْبِ مُتَكَبِّرٍ جَبَّارٍ ﴿٣٥﴾ وَقَالَ فِرْعَوْنُ يٰهَامٰنُ ابْنِ
لِيْ صَرْحًا لَّعَلِّيْٓ اَبْلُغُ الْاَسْبَابَ ﴿٣٦﴾ اَسْبَابَ السَّمٰوٰتِ فَاَطَّلِعَ
اِلٰٓى اِلٰهِ مُوْسٰى وَاِنِّيْ لَاَظُنُّهٗ كَاذِبًا ۭ وَكَذٰلِكَ زُيِّنَ لِفِرْعَوْنَ سُوْٓءُ
عَمَلِهٖ وَصُدَّ عَنِ السَّبِيْلِ ۭ وَمَا كَيْدُ فِرْعَوْنَ اِلَّا فِيْ تَبَابٍ ﴿٣٧﴾ ع
وَقَالَ الَّذِيْٓ اٰمَنَ يٰقَوْمِ اتَّبِعُوْنِ اَهْدِكُمْ سَبِيْلَ الرَّشَادِ ﴿٣٨﴾ ج
يٰقَوْمِ اِنَّمَا هٰذِهِ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا مَتَاعٌ ۡ وَّاِنَّ الْاٰخِرَةَ هِيَ دَارُ

---

بخشی ہنز۔ با ایمانن نشہِ تہِ چھہ اچھ نفرت **كَذٰلِكَ يَطْبَعُ اللّٰهُ عَلٰى كُلِّ قَلْبِ مُتَكَبِّرٍ جَبَّارٍ** یتھ پاٹھ اللہ تعالیٰ ان تُہندین دِلن پیٹھ موہر کرمژ چھہ یتھے پاٹھ چھہ اللہ تعالیٰ موہ ہَر کران پر یتھ مُتکبّرِ تہ سَرکشہِ سندِس دِلس پیٹھ۔ یہ اوس تقریرِ لس با ایمان مردہ سُندیُس پُنن ایمان کھٹِت تھاوان اوس۔ اَمہِ تقریرِ پتہ کور تم پُنن پان ظاہر۔ **وَقَالَ فِرْعَوْنُ يٰهَامٰنُ ابْنِ لِيْ صَرْحًا لَّعَلِّيْٓ اَبْلُغُ الْاَسْبَابَ** فِرعونن یلہِ یہِ لاجواب تقریرِ بُوز تمِس با ایمانس ہیکو کُن نہ کینہہ ونتھ پنہ نس سابقہ جہالتس پیٹھہ قائم روز تھ لگ پننہ خیالہ دلیل قائم کرنہ خاطر ہامانس کہِ اے ہامان میانہِ خاطرہ بناوژہ اکھ تھود مکاناہ دیوہ بہ تتھ پیٹھ کھسِتھ واتہ آسمانہ چِن وَتن پیٹھ۔ **اَسْبَابَ السَّمٰوٰتِ فَاَطَّلِعَ اِلٰٓى اِلٰهِ مُوْسٰى وَاِنِّيْ لَاَظُنُّهٗ كَاذِبًا** یعنی آسمان کھسنہ چِن وَتن پیٹھ تو پتہ وچھہِ بہ موسیٰ علیہ السلامہ سندِس خدایس کُن۔ بہ چھُس زانان سُہ چھوٗیہِ وَنہ نس اندر اپزیور۔ **وَكَذٰلِكَ زُيِّنَ لِفِرْعَوْنَ سُوْٓءُ عَمَلِهٖ وَصُدَّ عَنِ السَّبِيْلِ** یتھے پاٹھ آو زینت دِنہ فرعونہ سندِہ خاطرہ تمسنزن یچھ کامین۔ بیہ آوُسہ پتھ رٹنہ سیزِہ وَتہِ نشہِ۔ تم کر یہ موسیٰ علیہ السلامس مقابلہ واریاہ بڈ بڈ تدبیر **وَمَا كَيْدُ فِرْعَوْنَ اِلَّا فِيْ تَبَابٍ** مگر فرعونہ سُند پریتھ تدبیر اہ گوو ضائع تہ بے کار۔ گُنہِ تدبیرس منز سپُد نہ سُہ کامیاب **وَقَالَ الَّذِيْٓ اٰمَنَ يٰقَوْمِ اتَّبِعُوْنِ اَهْدِكُمْ سَبِيْلَ الرَّشَادِ** تمِ با ایمان شخصن یلہِ ڈیچھ کہ فرعونس پھورنہ کانہہ معقول جواباہ تم کوربیہ تقریر۔ تم دوپ ای میانہِ قومہ تُہہ پکوِ میانہِ وَتہِ۔ تُہہ کرِو میان پیروی۔ بہ ہاووہ توہہِ رژو تھ۔ یعنی سبیل الرشاد چھہ میانی وتھ فرعونہ سنز

الْقَرَارِ ﴿۳۹﴾ مَنْ عَمِلَ سَيِّئَةً فَلَا يُجْزَىٰ إِلَّا مِثْلَهَا ۖ وَمَنْ عَمِلَ صَالِحًا مِّن ذَكَرٍ أَوْ أُنثَىٰ وَهُوَ مُؤْمِنٌ فَأُولَٰئِكَ يَدْخُلُونَ الْجَنَّةَ يُرْزَقُونَ فِيهَا بِغَيْرِ حِسَابٍ ﴿۴۰﴾ وَيَا قَوْمِ مَا لِي أَدْعُوكُمْ إِلَى النَّجَاةِ وَتَدْعُونَنِي إِلَى النَّارِ ﴿۴۱﴾ تَدْعُونَنِي لِأَكْفُرَ بِاللَّهِ وَأُشْرِكَ بِهِ مَا لَيْسَ لِي بِهِ عِلْمٌ وَأَنَا أَدْعُوكُمْ إِلَى الْعَزِيزِ الْغَفَّارِ ﴿۴۲﴾ لَا جَرَمَ أَنَّمَا تَدْعُونَنِي إِلَيْهِ لَيْسَ لَهُ دَعْوَةٌ فِي الدُّنْيَا وَلَا فِي الْآخِرَةِ وَأَنَّ مَرَدَّنَا

---

ڏيکاريان ٿو. تم سندو دعوه چهه اپز يَٰقَوْمِ إِنَّمَا هَٰذِهِ الْحَيَوٰةُ الدُّنْيَا مَتَاعٌ وَإِنَّ الْآخِرَةَ هِيَ دَارُ الْقَرَارِ اي ميانه قومه يه دُنياء جي زندگي چهنه مگر ڪنيرڻ دوهن فايده تلنج. اصل روزه نگ گره گوو آخر تُک گره. مَنْ عَمِلَ سَيِّئَةً فَلَا يُجْزَىٰ إِلَّا مِثْلَهَا وَمَنْ عَمِلَ صَالِحًا مِّن ذَكَرٍ أَوْ أُنثَىٰ وَهُوَ مُؤْمِنٌ فَأُولَٰئِكَ يَدْخُلُونَ الْجَنَّةَ يُرْزَقُونَ فِيهَا بِغَيْرِ حِسَابٍ يم اکه پچه کوم ڪَرَ لَس يه نه تمُيک سزادِنه مگر تته برابرُيس اکهاه رڙ عمل گرِه مر دويا زنانو اَندره باايمان اُسته تهِ لوکه اڙن جنتس اندر. تته پيکه رِزق عطا کرنه حسابه روستے وَيَٰقَوْمِ مَا لِيٓ أَدْعُوكُمْ إِلَى النَّجَوٰةِ وَتَدْعُونَنِيٓ إِلَى النَّارِ اي ميانهِ قومه يه کڙهه کتهاه چهه که به چهُسوه توهِ نادِدوان نجاتس کن تهه چهوه ميه نادِدوان نارس کُن تَدْعُونَنِي لِأَكْفُرَ بِاللَّهِ وَأُشْرِكَ بِهِ مَا لَيْسَ لِي بِهِ عِلْمٌ وَأَنَا أَدْعُوكُمْ إِلَى الْعَزِيزِ الْغَفَّارِ. تُهه چهوه ميه نادِدوان معبودِ برحقس انکار کرنس ته شريک ٹهراونس کُن تميچ نه ميه نِشه کانهه خبراه چهه، دليلاه چهه. به چهُس توهِ نادِدوان تَس معبود برحقس کُن يُس سيٹهاه بخشنهار چهه لَا جَرَمَ أَنَّمَا تَدْعُونَنِيٓ إِلَيْهِ لَيْسَ لَهُ دَعْوَةٌ فِي الدُّنْيَا وَلَا فِي الْآخِرَةِ يه کته چهه ظاهر که يَس پرستش کرنس کُن تُهه ميه نادِدوان چهوه سُه چهُنه

إِلَى اللَّهِ وَأَنَّ الْمُسْرِفِينَ هُمْ أَصْحَابُ النَّارِ ﴿٤٣﴾ فَسَتَذْكُرُونَ
مَا أَقُولُ لَكُمْ ۚ وَأُفَوِّضُ أَمْرِي إِلَى اللَّهِ ۚ إِنَّ اللَّهَ بَصِيرٌ
بِالْعِبَادِ ﴿٤٤﴾ فَوَقَاهُ اللَّهُ سَيِّئَاتِ مَا مَكَرُوا ۖ وَحَاقَ
بِآلِ فِرْعَوْنَ سُوءُ الْعَذَابِ ﴿٤٥﴾ النَّارُ يُعْرَضُونَ عَلَيْهَا
غُدُوًّا وَعَشِيًّا ۖ وَيَوْمَ تَقُومُ السَّاعَةُ أَدْخِلُوا آلَ
فِرْعَوْنَ أَشَدَّ الْعَذَابِ ﴿٤٦﴾ وَإِذْ يَتَحَاجُّونَ فِي النَّارِ

---

قابل نہ دُنیاء س اندر رُتھ حاجتہ وزِہ نادِ دنس نہ آخرتس اندر دفع عذابہ کہ وقتہ کیا زِہ نادِ دنچ صلاحیت چھہ تمِس یِس قدرت و علم آسہ۔ یمِ دو شوے چیز چھہِ غیر اللہس نِشہِ مفقود وَأَنَّ مَرَدَّنَا إِلَى اللَّهِ وَأَنَّ الْمُسْرِفِينَ هُمْ أَصْحَابُ النَّارِ یہ چھہ یقینی کتھ کہ اَسہِ سارِنے چھہ واپس رجوع کرُن اللہ تعالیٰ اَس گُن۔ یہ تہِ چھہ یقینی کتھ کہ حدہ نِشہِ ڈلہ ون یعنے غیر اللہس عبادت گرہ ون چھہ نارس اندر واتہ ون فَسَتَذْكُرُونَ مَا أَقُولُ لَكُمْ میان کتھ چھنہ توہہِ بِہان پیوہ توہ ژیتس سوکتھ۔ یُوسہ بوونان چھوس مگر برونٹھ پہن۔ وَأُفَوِّضُ أَمْرِي إِلَى اللَّهِ إِنَّ اللَّهَ بَصِيرٌ بِالْعِبَادِ بہ چھُس پنن معاملہ پُشرِ اوان اللہ تعالیٰ اس بے شک اللہ تعالیٰ چھہ پانہ وچھان پنہ نین بندن ہُند حال فَوَقَاهُ اللَّهُ سَيِّئَاتِ مَا مَكَرُوا وَحَاقَ بِآلِ فِرْعَوْنَ سُوءُ الْعَذَابِ پَس روچھہ سُہ با ایمان بندہ اللہ تعالیٰ اَن تہندیو مضر تدبیرو نِشہِ۔ پوت پھیرِ تھ آوٗ وَلنہ عذاب فرعونہ سندین لوتین پو تین چنانچہ فرعون تہ تہند قوم پھوٹ دریائے قلزمَس اندر۔ موسیٰ علیہ السلام تہ تہندیو تابعو لوب نجات۔ آلِ فرعونہ منزہ یمِ با ایمان اس تموتہِ لوب موسیٰ علیہ السلامس سیت غرق سپدنہ نِشہِ نجات النَّارُ يُعْرَضُونَ عَلَيْهَا غُدُوًّا وَعَشِيًّا عالمِ برزخس منز چھہِ تمِ صُبحس تہ شامَس نارس برونٹھہ کنِہ اَننہ یوان تمن چھہ وننہ یوان کہ قیامتک دوہ کیاہ پیوتُھہ اتھ نارس منز داخِل کرنہ وَيَوْمَ تَقُومُ السَّاعَةُ أَدْخِلُوا آلَ فِرْعَوْنَ أَشَدَّ الْعَذَابِ قیامَت قائم سپدِہ تمہِ دوہہ ییہ حکم کرنہ واتہ ناویوکھ فرعون تہ تُہند قوم سخت عذابس اندر وَإِذْ

فَيَقُولُ الضُّعَفٰٓؤُا لِلَّذِيْنَ اسْتَكْبَرُوْٓا اِنَّا كُنَّا لَكُمْ تَبَعًا فَهَلْ اَنْتُمْ مُّغْنُوْنَ عَنَّا نَصِيْبًا مِّنَ النَّارِ ﴿٤٧﴾ قَالَ الَّذِيْنَ اسْتَكْبَرُوْٓا اِنَّا كُلٌّ فِيْهَآ اِنَّ اللّٰهَ قَدْ حَكَمَ بَيْنَ الْعِبَادِ ﴿٤٨﴾ وَقَالَ الَّذِيْنَ فِى النَّارِ لِخَزَنَةِ جَهَنَّمَ ادْعُوْا رَبَّكُمْ يُخَفِّفْ عَنَّا يَوْمًا مِّنَ الْعَذَابِ ﴿٤٩﴾ قَالُوْٓا اَوَلَمْ تَكُ تَاْتِيْكُمْ رُسُلُكُمْ بِالْبَيِّنٰتِ قَالُوْا بَلٰى قَالُوْا فَادْعُوْا وَمَا دُعٰٓؤُا الْكٰفِرِيْنَ اِلَّا فِىْ ضَلٰلٍ ﴿٥٠﴾

---

يَتَحَآجُّوْنَ فِى النَّارِ فَيَقُولُ الضُّعَفٰٓؤُا لِلَّذِيْنَ اسْتَكْبَرُوْٓا اِنَّا كُنَّا لَكُمْ تَبَعًا فَهَلْ اَنْتُمْ مُّغْنُوْنَ عَنَّا نَصِيْبًا مِّنَ النَّارِ سُه وقت تِه چهه قابلِ ذکر آهي ته جڏهن ڪافر نارِ جهنمس اندر پانه وان هره هر گرن تو پته ونن کمزور لوکه تمن لوکن يمِ مغرور ته سرکش اَس اِس تو هی تابع۔ کیاه تهه هیکوه نارک کانهه حِصهٔ اَسهِ نِشهِ دور کرِ تهه قَالَ الَّذِيْنَ اسْتَكْبَرُوْٓا اِنَّا كُلٌّ فِيْهَآ اِنَّ اللّٰهَ قَدْ حَكَمَ بَيْنَ الْعِبَادِ مغرور ته سرکش لوکه وَنه نکه اَس ساری چهِ ناره سے منز (اَس هر گاه توهه کینهه کرِ تهه هیکه هو گوڈه کره هو اَس پانه سے) بیشک الله تعالیٰ اَن کور فاصله بندن منز۔ وونِ هیکه نه تتهه فاصلس منز بدل سپدِ تهه۔ تتهه فاصلس منز آیے اَس ساری ناری قرار دِنه وَقَالَ الَّذِيْنَ فِى النَّارِ لِخَزَنَةِ جَهَنَّمَ ادْعُوْا رَبَّكُمْ يُخَفِّفْ عَنَّا يَوْمًا مِّنَ الْعَذَابِ تمهِ پته وَنن تمِ ساری لوکه یمِ جهنمس منز دزان آسن جهنمه کین داروغن، تهه منگتو سانهِ خاطره خدایس سُه کرِ هاکنه دوه عذابس منز سهل قَالُوْٓا اَوَلَمْ تَكُ تَاْتِيْكُمْ رُسُلُكُمْ بِالْبَيِّنٰتِ تمِ دپنکه کیاه توههِ نِش اَس نایوان پیغمبر تهند ننهِ دلیله هیتهه جهنمه کهِ عذاب نِشهِ بچنچ کانهه طریقاه ته صورتهاه هیتهه قَالُوْا بَلٰى تمِ دپنکه اَوه یوان اَس مگر اَس اَس نه تهند مانان قَالُوْا فَادْعُوْا وَمَا دُعٰٓؤُا الْكٰفِرِيْنَ اِلَّا فِىْ ضَلٰلٍ تمِ دپنکه توره تهه منگِو پانے اَسهِ چهه ڪافرن سفارِش

إِنَّا لَنَنصُرُ رُسُلَنَا وَالَّذِينَ آمَنُوا فِي الْحَيَاةِ الدُّنْيَا وَيَوْمَ يَقُومُ الْأَشْهَادُ ﴿٥١﴾ يَوْمَ لَا يَنفَعُ الظَّالِمِينَ مَعْذِرَتُهُمْ وَلَهُمُ اللَّعْنَةُ وَلَهُمْ سُوءُ الدَّارِ ﴿٥٢﴾ وَلَقَدْ آتَيْنَا مُوسَى الْهُدَىٰ وَأَوْرَثْنَا بَنِي إِسْرَائِيلَ الْكِتَابَ ﴿٥٣﴾ هُدًى وَذِكْرَىٰ لِأُولِي الْأَلْبَابِ ﴿٥٤﴾ فَاصْبِرْ إِنَّ وَعْدَ اللَّهِ حَقٌّ وَاسْتَغْفِرْ لِذَنبِكَ وَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ

---

کرہ نچ ممانعت۔ مگر تتھ منگنس تہِ کانہہ نتیجاہ نیریونہ کیازِہ کافرن ہُند منگُن چھنہ مگر بیکار تہ بے اعتبار۔

إِنَّا لَنَنصُرُ رُسُلَنَا وَالَّذِينَ آمَنُوا فِي الْحَيَاةِ الدُّنْيَا وَيَوْمَ يَقُومُ الْأَشْهَادُ اَس چھِ یاری تہ مدد کران پنہ نین پیغمبرن بیہِ بایمانن دنیاچہ زندگی اندر بیہِ تمہِ دوہہ گواہ یعنی تمِ ملائیک، تمِ نامہ اعمال لیکھان آسن گواہی خاطرہ تھودوو تھن۔ تمِ دنِ گواہی پیغمبرن ہندہ تبلیغ بیہِ کافرن ہندِہ انکارچ یَوْمَ لَا يَنفَعُ الظَّالِمِينَ مَعْذِرَتُهُمْ وَلَهُمُ اللَّعْنَةُ وَلَهُمْ سُوءُ الدَّارِ تمہِ دوہہ نہ کانہہ فایدہ دیہِ ظالمن یعنے مُشرکن تہِ کافرن عذرتہ بہانہ پیش کرنہ تہندہ خاطرہ چھہ لعنت (یعنی خدایہ سندِہ رحمتہ نِشہِ دوری) بیہِ چھہ تہندِہ روزنہ خاطرہ یچھ مکان وَلَقَدْ آتَيْنَا مُوسَى الْهُدَىٰ وَأَوْرَثْنَا بَنِي إِسْرَائِيلَ الْكِتَابَ هُدًى وَذِكْرَىٰ لِأُولِي الْأَلْبَابِ بتحقیق توہہِ برونٹھ کوراَسہِ عطا موسیٰ کلیم اللّٰہس بوڈ ہدایت یعنی تورات بیہِ کُر بنی اسرائیل اَسہِ وارِث کتابہِ ہندی یعنے توراتک یُس تورات ہدایت و نصیحت چھُہ عقلہِ والین تہ گاٹلین ہندِہ خاطرہ۔ بے عقل تمِ اس تمن ووت نہ تمہِ کتابہِ ہُند کانہہ فایدہ۔ تُہہ تہِ چھوہ موسیٰ علیہ السلام سند پاٹھ صاحب رسالت وَوحی۔ تہندین اُمتیَن اندر یم گاٹل تہ عاقل چھِہ تمِ تہِ کرن تمہِ کتابہِ ہنز یوسہ توہہ عطا کرنہ آیہ خدمت تہِ اشاعت۔ بے عقل تمِ چھِہ تمِ کرن اتھ کتابہِ انکار فَاصْبِرْ إِنَّ وَعْدَ اللَّهِ حَقٌّ وَاسْتَغْفِرْ لِذَنبِكَ وَسَبِّحْ بِحَمْدِ رَبِّكَ بِالْعَشِيِّ وَالْإِبْكَارِ مگر تُہہ کُرِو تتھ پیٹھ صبر یار سول اللّٰہ بے شک اللّٰہ تعالیٰ سُند وعدہ چھُہ پوز۔ بیہِ منگو مغفرت پنہ نین گونہن ہندِہ خاطرہ

بِالْعَشِيِّ وَالْإِبْكَارِ ﴿۵۵﴾ إِنَّ الَّذِينَ يُجَادِلُونَ فِي آيَاتِ اللَّهِ بِغَيْرِ سُلْطَانٍ أَتَاهُمْ ۙ إِنْ فِي صُدُورِهِمْ إِلَّا كِبْرٌ مَا هُمْ بِبَالِغِيهِ ۚ فَاسْتَعِذْ بِاللَّهِ ۖ إِنَّهُ هُوَ السَّمِيعُ الْبَصِيرُ ﴿۵۶﴾ لَخَلْقُ السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ أَكْبَرُ مِنْ خَلْقِ النَّاسِ وَلَٰكِنَّ أَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُونَ ﴿۵۷﴾ وَمَا يَسْتَوِي الْأَعْمَىٰ وَالْبَصِيرُ ۙ وَالَّذِينَ آمَنُوا وَ

---

بیہ روزِ تُوہہ تتھ کامہِ سیت مشغول یمہِ سیت نہٕ غمس کُن التفاتھے سپدان آسہِ۔ سُہٕ گووکہ تُہہ اَسو تسبیح تہٕ حمد پنہٕ نِس پروردگارہ سندِہ خاطرہ پران شامس تہٕ صُبحس تہٕ اِنَّ الَّذِيْنَ يُجَادِلُوْنَ فِيْٓ اٰيٰتِ اللّٰهِ بِغَيْرِ سُلْطٰنٍ اَتٰىهُمْ اِنْ فِيْ صُدُوْرِهِمْ اِلَّا كِبْرٌ مَّا هُمْ بِبَالِغِيْهِ بے شک یمِ لوکھ بحث تہٕ قضیہ چھہِ کران خدایہِ سندین آیاتن اندر رُتنہِ دلیلہِ ورائے یوسہ تمن نِشہِ واژمژ آسہِ ہا، تہندین دِلن اندر چھُنہ کینہہ تہٕ بڈیمی یعنے تکبّر و غرورہ ورائے۔ تمن یمہِ بڈیمی ہُند خیال چھُہ تتھ ہیکن نہ واتتھ یعنی سوہ سپدِ نہٕ تمن حاصِلے زانہہ بلکہ گژھن تمِ خوار و ذلیل فَاسْتَعِذْ بِاللّٰهِ اِنَّهٗ هُوَ السَّمِيْعُ الْبَصِيْرُ بلکہ منگ تُوہہ اللہ تعالیٰ اَس پناہ تمن لوکن ہندہِ شرہ نِشہِ۔ بے شک اللہ تعالیٰ چھُہ سورُے بوزہ وُن، سورُے وُچھہِ وُن۔ یمِ لوکھ انسانَن ہندِس دوبارہ پادہ سپدنَس انکار کران چھہِ تمِ چھہِ سیٹھاہ بے عقل، کیازِہ لَخَلْقُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ اَكْبَرُ مِنْ خَلْقِ النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ آسمانَن تہٕ زمینَن ہُند پادہ کُرن چھُہ زیادہ کام انسان دوبارہ کرنہ خوتہٕ لُوکن ہنزِہ نظرِہ اندر یلہِ بڈ کام کرنس پیٹھ تَس پور قدرت چھُہ لوکٹ کام کرن کیاہ عجایب چھُہ تس نِش۔ مگر باوجودِ آں چھُنہ اکثر لوکن یہ کتھ فکرہ تران۔ وَمَا يَسْتَوِي الْاَعْمٰى وَالْبَصِيْرُ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَلَا الْمُسِيْٓءُ قَلِيْلًا مَّا تَتَذَكَّرُوْنَ بیہ یتھ پاٹھ برابر چھُنہ اون تہٕ گاشدار یتھے پاٹھ چھُنہ برابر تمِ لوکھ یمو ایمان اَنتھ رژہ کامہِ کرِہ بیہ یمِ بدکار آسَن۔ سیٹھاہ کم چھِوہ تُہہ فکر کران وَرنہ روزہ ہیوِ نہٕ تُہہ اعمیٰ تہٕ بدکار اِنَّ السَّاعَةَ

عَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَلَا الْمُسِیْٓءُ ؕ قَلِیْلًا مَّا تَتَذَكَّرُوْنَ ﴿۵۸﴾ اِنَّ السَّاعَةَ لَاٰتِیَةٌ لَّا رَیْبَ فِیْهَا وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا یُؤْمِنُوْنَ ﴿۵۹﴾ وَقَالَ رَبُّكُمُ ادْعُوْنِیْٓ اَسْتَجِبْ لَكُمْ ؕ اِنَّ الَّذِیْنَ یَسْتَكْبِرُوْنَ عَنْ عِبَادَتِیْ سَیَدْخُلُوْنَ جَهَنَّمَ دٰخِرِیْنَ ﴿۶۰﴾ؑ اَللّٰهُ الَّذِیْ جَعَلَ لَكُمُ الَّیْلَ لِتَسْكُنُوْا فِیْهِ وَالنَّهَارَ مُبْصِرًا ؕ اِنَّ اللّٰهَ لَذُوْ فَضْلٍ عَلَی النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا یَشْكُرُوْنَ ﴿۶۱﴾ ذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبُّكُمْ خَالِقُ

---

**لَاٰتِیَةٌ لَّا رَیْبَ فِیْهَا وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا یُؤْمِنُوْنَ** قیامت ڇهه ضرور ايندڙ ان تمهِ ڪس ڀنس منز ڇهُنه کانهه شڪهاه۔ ليکن وارياه لوکه ڇهِنه مانان ته پڑهه كران كيازِ تمِ ڇهنه تمهِ چَن دليلن اَندر تدبّر ته غور كران۔ **وَقَالَ رَبُّكُمُ ادْعُوْنِیْٓ اَسْتَجِبْ لَكُمْ** بيهِ ڇهه فرماوان تهند پروردگار اے لوكو منگِو تُوهه مے۔ بہ گره تُهند پرِيتهه جايز درخواستاه قبول **اِنَّ الَّذِیْنَ یَسْتَكْبِرُوْنَ عَنْ عِبَادَتِیْ سَیَدْخُلُوْنَ جَهَنَّمَ دٰخِرِیْنَ** ميه ورائے مه منگِونِن حاجت کانسهِ تهِ۔ بيشک تمِ لوکه تکبّر ڇهِ كران ميانهِ عباد ته نشهِ يعنے ميه منگنه نشهِ ميه ورائے بَين ڇهِ منگان، ميهِ ڇهنه پنن حاجت معگان، تمِ اژِن جهنمس منز تهه خوار گڑهِتهه **اَللّٰهُ الَّذِیْ جَعَلَ لَكُمُ الَّیْلَ لِتَسْكُنُوْا فِیْهِ وَالنَّهَارَ مُبْصِرًا** معبودِ برحق گوو سُی يم راتهه كُر تهندهِ فايده خاطره يُتهه تُهه تتهه منز آرام كرِو، بيهِ كُرن دوه ڇهنه خاطره روشن يُتهه تكليفه ورائے تُهه معاش حاصِل كرِو **اِنَّ اللّٰهَ لَذُوْ فَضْلٍ عَلَی النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا یَشْكُرُوْنَ** بے شک الله تعالىٰ ڇهه سيٹهاه فضل كره وُن لوكن پيٹهه۔ ليکن وارياه لوکه ڇهنهِ تمن نعمتن هنز شكر گذاری كران بلكه ڇهه تتهه بدل شرک كران۔ **ذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبُّكُمْ خَالِقُ كُلِّ شَیْءٍ ۘ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۘ فَاَنّٰی تُؤْفَكُوْنَ** يه ڇهه الله تعالىٰ تهند پروردگار يمسند ذكر كرنه آو۔ تمِ چيز نه يم توهه پانے ڇهوکه ٹهراوان۔ سُی ڇهه پرِيتهه

كُلِّ شَيْءٍ ۘ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۡ فَاَنّٰى تُؤْفَكُوْنَ ﴿٦٢﴾ كَذٰلِكَ
يُؤْفَكُ الَّذِيْنَ كَانُوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ يَجْحَدُوْنَ ﴿٦٣﴾ اَللّٰهُ
الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ قَرَارًا وَّالسَّمَآءَ بِنَآءً وَّصَوَّرَكُمْ
فَاَحْسَنَ صُوَرَكُمْ وَرَزَقَكُمْ مِّنَ الطَّيِّبٰتِ ؕ ذٰلِكُمُ
اللّٰهُ رَبُّكُمْ ۚۖ فَتَبٰرَكَ اللّٰهُ رَبُّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٦٤﴾ هُوَ
الْحَيُّ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ فَادْعُوْهُ مُخْلِصِيْنَ لَهُ الدِّيْنَ ؕ
اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٦٥﴾ قُلْ اِنِّيْ نُهِيْتُ اَنْ اَعْبُدَ

---

چيز ک پاده کره ڈن کانهه معبود ٻاه چهنه تس وراء۔ توحيد ثابت سپد نه پته کوت چهوه تهه شرک کرته پوت پهيران كَذٰلِكَ يُؤْفَكُ الَّذِيْنَ كَانُوْا بِاٰيٰتِ اللّٰهِ يَجْحَدُوْنَ تهےٖ پاٹھ اَس يِوان وَتهه راوه راونه تمن يم سانين آيا تن آسِ انکار کران اَللّٰهُ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ قَرَارًا وَّالسَّمَآءَ بِنَآءً وَّصَوَّرَكُمْ فَاَحْسَنَ صُوَرَكُمْ وَرَزَقَكُمْ مِّنَ الطَّيِّبٰتِ معبود برحقے گو وسُی يم تهندِه خاطره کور روزنچ ته قرار کره نچ جاي زمين۔ بيه کورن آسمان هير مه طرفه پشاه هيو۔ بيه کرنوه عطا توهه صور تهاه سوی صورت کرن رڑ صور تهاه۔ بيه کورُن توهه رِزق عطا۔ رت رت چيز کهنه خاطره۔ ذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبُّكُمْ يوہے گو وتهند پروردگار فَتَبٰرَكَ اللّٰهُ رَبُّ الْعٰلَمِيْنَ پس چهه الله تعالیٰ سيٹهاه عالی شان۔ سُی چهه عالمين هُند ربّ هُوَ الْحَيُّ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ فَادْعُوْهُ مُخْلِصِيْنَ لَهُ الدِّيْنَ اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ سُے چهه ازلی ته ابدی زنده روزه ڈن کانهه معبود ٻاه چهنه تس وراے۔ اے لوکو پس منگو تهه ساری تس، خالص اعتقاد کرِ تهه، شريک مه ٹهراوِو تس کُنهِ چيزس اندر عبادت ته بندگی خالص سزلوار زانته بيه نه کانسهِ۔ ساری حمد و ثناء سارے خوبيه چهه تسیٰ معبودِ برحقس سزلوار يُس ربّ العالمين چهه قُلْ اِنِّيْ نُهِيْتُ اَنْ اَعْبُدَ الَّذِيْنَ تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ تُهه فرما ويوکھ يا رسول الله يمن مشرکن که ميه آو منع کرنه به کياه کره پرستش تمن معبودان باطلن هنز يمن تهی

الَّذِيْنَ تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ لَمَّا جَآءَنِيَ الْبَيِّنٰتُ
مِنْ رَّبِّيْ ز وَاُمِرْتُ اَنْ اُسْلِمَ لِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿۶۶﴾
هُوَ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ مِّنْ تُرَابٍ ثُمَّ مِنْ نُّطْفَةٍ ثُمَّ مِنْ عَلَقَةٍ
ثُمَّ يُخْرِجُكُمْ طِفْلًا ثُمَّ لِتَبْلُغُوْٓا اَشُدَّكُمْ ثُمَّ لِتَكُوْنُوْا شُيُوْخًا ۚ
وَمِنْكُمْ مَّنْ يُّتَوَفّٰى مِنْ قَبْلُ وَلِتَبْلُغُوْٓا اَجَلًا مُّسَمًّى وَّلَعَلَّكُمْ
تَعْقِلُوْنَ ﴿۶۷﴾ هُوَ الَّذِيْ يُحْيٖ وَيُمِيْتُ ۚ فَاِذَا قَضٰٓى اَمْرًا فَاِنَّمَا
يَقُوْلُ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ ﴿۶۸﴾ ع اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيْنَ يُجَادِلُوْنَ فِيْٓ

---

پرستش کران چھوہ معبودِ برحقّس ورائے **لَمَّا جَآءَنِيَ الْبَيِّنٰتُ مِنْ رَّبِّيْ وَاُمِرْتُ اَنْ اُسْلِمَ لِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ** یلہٕ زن میہ نش میانس پروردگارہ سنٛدہ طرفہ واضح دلیل چھہ آمژتہ مہ آو حُکم کرنہ کہ بہ نومراوہ کلہ عبادتس اندر فقط ربّ العالمینس برونٛٹھ کنہٕ **هُوَ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ مِّنْ تُرَابٍ ثُمَّ مِنْ نُّطْفَةٍ ثُمَّ مِنْ عَلَقَةٍ ثُمَّ يُخْرِجُكُمْ طِفْلًا ثُمَّ لِتَبْلُغُوْٓا اَشُدَّكُمْ ثُمَّ لِتَكُوْنُوْا شُيُوْخًا** سُہ پروردگار گوسُی یم تُہہ پادہ کٔرِی نوہ گوڈہ میژِہ یعنی تُہند جدِ اعلیٰ آدم علیہ السلام تو پتہ تُہند نسل آبہ قطرس تو پتہ خونہ دٕتہِ تو پتہ کڈی نوہ تُہہ بچہ سنزِہ شکلہ اندر ماجہِ ہندہِ شکمہ اندرہ۔ تو پتہ چھوہ توہہِ زِندہ تھاوان یُتھ تُہہ واتِو پنہِ جوانی ہندِس وقتس تو پتہ چھوہ توہہِ زندہ تھاوان یُتھ تُہی بُڈہ سپدِو **وَمِنْكُمْ مَّنْ يُّتَوَفّٰى مِنْ قَبْلُ** بیہِ چھہ توہی اندرہ کینہہ اتھ جوانی یا بجرہ کِس وقتس واتنہ برونٛٹھے مران **وَلِتَبْلُغُوْٓا اَجَلًا مُّسَمًّى** بیہِ چھہ سُہ توہہِ زندہ تھاوان یُتھ تُہہ واتِو پنہ نِس مُقرر گرنہ آمتس وقتس تان **وَّلَعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ** یہِ سورُے کور اَسہِ یُتھ توہہِ فِکرہ ترِہ خدایہِ سُند توحید بیہِ یہِ کہِ مٔرِ تھ ہیکہِ سُہ پروردگار اَسہِ بیہِ زِندہ کٔرِتھ یم اَس پتو دورَو منزی گُذاری **هُوَ الَّذِيْ يُحْيٖ وَيُمِيْتُ فَاِذَا قَضٰٓى اَمْرًا فَاِنَّمَا يَقُوْلُ لَهٗ كُنْ فَيَكُوْنُ** سُہ گوسُی

اٰيٰتِ اللّٰهِ ؕ اَنّٰى يُصۡرَفُوۡنَ ﴿۶۹﴾ الَّذِيۡنَ كَذَّبُوۡا بِالۡكِتٰبِ وَبِمَاۤ
اَرۡسَلۡنَا بِهٖ رُسُلَنَا ۛ فَسَوۡفَ يَعۡلَمُوۡنَ ﴿۷۰﴾ اِذِ الۡاَغۡلٰلُ فِىۡۤ
اَعۡنَاقِهِمۡ وَالسَّلٰسِلُ ؕ يُسۡحَبُوۡنَ ﴿۷۱﴾ فِى الۡحَمِيۡمِ ۙ ثُمَّ فِى
النَّارِ يُسۡجَرُوۡنَ ﴿۷۲﴾ ثُمَّ قِيۡلَ لَهُمۡ اَيۡنَ مَا كُنۡتُمۡ تُشۡرِكُوۡنَ ﴿۷۳﴾
مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ ؕ قَالُوۡا ضَلُّوۡا عَنَّا بَلْ لَّمۡ نَكُنۡ نَّدۡعُوۡا مِنۡ
قَبۡلُ شَيۡـًٔـا ؕ كَذٰلِكَ يُضِلُّ اللّٰهُ الۡكٰفِرِيۡنَ ﴿۷۴﴾ ذٰلِكُمۡ بِمَا كُنۡتُمۡ

---

یُس زندہ کران تہٕ ماران چھُہ۔ یلہِ کُنہِ کامہِ ہندہ پورہ کرہ نک اِرادہ کران چھُہ، سُہ چھُہ تتھ چیزس کُن فرماوان سپد اَتی چھُہ سُہ سپدان اَلَمْ تَرَ اِلَى الَّذِيۡنَ يُجَادِلُوۡنَ فِىۡۤ اٰيٰتِ اللّٰهِ ؕ اَنّٰى يُصۡرَفُوۡنَ تُہہ چھِوہ ناوچھان تِمن لوکن ہندِس حالس کُن یِم بحث تہٕ قضیہٕ چھِہ کران اللہ تعالیٰ سندین آیاتن منز کہو کُن چھِہ تِم پھِرنہٕ یِوان۔ الَّذِيۡنَ كَذَّبُوۡا بِالۡكِتٰبِ وَبِمَاۤ اَرۡسَلۡنَا بِهٖ رُسُلَنَا فَسَوۡفَ يَعۡلَمُوۡنَ یِموّ لوکو اپُزٕ زان یہٕ کتاب یعنی قرآنِ مجید، بیہٕ تِم معجزہ تِم ہیتھ اَسہِ سوزِ پنٕن پیغمبر، مُشرکین عرب اَس نہٕ کانسہِ پیغمبرس مانان۔ تِمن سپدہ معلوم برونٹھ پہن یعنی قیامتُک دوہ یوسہ نزدیکھ چھُہ اِذِ الۡاَغۡلٰلُ فِىۡۤ اَعۡنَاقِهِمۡ وَالسَّلٰسِلُ يُسۡحَبُوۡنَ * فِى الۡحَمِيۡمِ ثُمَّ فِى النَّارِ يُسۡجَرُوۡنَ یلہِ غُل آسن تِہنزن گردنن منز بیہٕ ہانکلہ تِمن طوق سیت واٹھ کرِتھ آسہِ تِمیُک بیاکھ اند آسہِ ملایکن ہندین اَتھن اندر۔ تِموے ہانکلو سیت آسن تِم کھکھرِ ہ پکناونہٕ یِوان جھنجّہِ رسرِ ہ منز تراونہ خاطرہ تو پتہٕ یِن تِم نارس اندر زالنہ ثُمَّ قِيۡلَ لَهُمۡ اَيۡنَ مَا كُنۡتُمۡ تُشۡرِكُوۡنَ * مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ تو پتہٕ ییہٕ تِمن وَننہ تِم معبودانِ باطل کوت گئے تِم توہہ خدایہِ سند شریک اَسوِکھ ٹھہراوان تِم کونہ چھِہ توہہِ مدد کرنہِ یِوان قَالُوۡا ضَلُّوۡا عَنَّا بَلْ لَّمۡ نَكُنۡ نَّدۡعُوۡا مِنۡ قَبۡلُ شَيۡـًٔـا تِم دِپن تِم راوِ اَسہِ۔ یتہِ چھنہ کُنہِ نظرہ گژھان بلکہ چھُہ پزٕ کتھ یہے کہ اَس اَسِ نہٕ کانسہِ تہٕ اَزی کہ برونٹھ پرستش کران۔ یعنی اَسہِ سپُد معلوم کہِ تِم اَس نہٕ کہنی كَذٰلِكَ يُضِلُّ اللّٰهُ الۡكٰفِرِيۡنَ یتھ پاٹھ چھُہ اللہ تعالیٰ کافرن غلطی منز پھساوان ذٰلِكُمۡ بِمَا كُنۡتُمۡ تَفۡرَحُوۡنَ فِى الۡاَرۡضِ

تَفْرَحُوْنَ فِی الْاَرْضِ بِغَیْرِ الْحَقِّ وَبِمَا كُنْتُمْ تَمْرَحُوْنَ ﴿۷۵﴾
اُدْخُلُوْٓا اَبْوَابَ جَهَنَّمَ خٰلِدِیْنَ فِیْهَا ۚ فَبِئْسَ مَثْوَى
الْمُتَكَبِّرِیْنَ ﴿۷۶﴾ فَاصْبِرْ اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ ۚ فَاِمَّا نُرِیَنَّكَ
بَعْضَ الَّذِیْ نَعِدُهُمْ اَوْ نَتَوَفَّیَنَّكَ فَاِلَیْنَا یُرْجَعُوْنَ ﴿۷۷﴾
وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا رُسُلًا مِّنْ قَبْلِكَ مِنْهُمْ مَّنْ قَصَصْنَا عَلَیْكَ
وَمِنْهُمْ مَّنْ لَّمْ نَقْصُصْ عَلَیْكَ ؕ وَمَا كَانَ لِرَسُوْلٍ اَنْ یَّاْتِیَ
بِاٰیَةٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ ۚ فَاِذَا جَآءَ اَمْرُ اللّٰهِ قُضِیَ بِالْحَقِّ وَخَسِرَ

---

بِغَیْرِ الْحَقِّ وَبِمَا كُنْتُمْ تَمْرَحُوْنَ یہ سزا چھہ توہہِ تمن کتھن ہُند کہ تُہہ اسوہ دُنیاء س اَندر ناحق شرکہ سیت تہ کُفرہ سیت خوش گژھان۔ بیہِ اَسوہ تُہہ تکبّر تہ غرور کران۔ اَمہِ بروٗنٹھ آسہِ تُہندِ حقہٕ حکم سپُدمت اُدْخُلُوْٓا اَبْوَابَ جَهَنَّمَ خٰلِدِیْنَ فِیْهَا اَژِو جہنمہٕ کیو دَروازو منز توہہِ چھِوہ ہمیشہ اَتھ منز روزُن فَبِئْسَ مَثْوَى الْمُتَكَبِّرِیْنَ پس کاژاہ بچھ جای چھہ یہ جہنم مُتکبّرن ہنزِ یلہِ انتقاماً یہ سزا ییہِ دِنہ فَاصْبِرْ اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ پس کَرِو تُہہ کینہہ کالاہ صبر یا رسول اللہ۔ بے شک اللہ تعالیٰ سُند وعدہ چھہ پوٗز فَاِمَّا نُرِیَنَّكَ بَعْضَ الَّذِیْ نَعِدُهُمْ اَوْ نَتَوَفَّیَنَّكَ فَاِلَیْنَا یُرْجَعُوْنَ تمہِ عذابُک اس تمن وَعدہ چھِہ کران تمہِ اَندرہ کانہہ حِصّاہ ہرگاہ اَس توہہِ ہاوِوہ یعنی تُہندِ سے وقتس اَندر کرِ واَس تمن پیٹھ عذاب نازِل یا سہٕ عذاب نازِل کرنہ بروٗنٹھے نِموٗوہ اس تُہہ۔ تمہِ عالمہ منزہ بہرحال چھہ تمن واتن اَس نِشہِ تمہِ ساتہ سپدن تمِ یقیناً عذابس گرفتار وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا رُسُلًا مِّنْ قَبْلِكَ مِنْهُمْ مَّنْ قَصَصْنَا عَلَیْكَ وَمِنْهُمْ مَّنْ لَّمْ نَقْصُصْ عَلَیْكَ بتحقیق بیہِ سوز اَسہِ واریاہ پیغمبر توہہِ بروٗنٹھ تِموٗ اَندرہ چھہِ بعضے تمِ تمن ہُند حال اَسہِ بیان کوٗر توہہِ پیٹھ مجمل یا ٹھیا بتفصیل۔ بیہِ چھہِ تموٗ اَندرہ بعضے یِہُند حال نہ اَسہِ بیان کوٗر توہہِ نِشہِ مگر یہ کتھ چھہ سارِنے اَندر مشترک کہ وَمَا كَانَ لِرَسُوْلٍ اَنْ یَّاْتِیَ بِاٰیَةٍ اِلَّا بِاِذْنِ اللّٰهِ فَاِذَا جَآءَ اَمْرُ اللّٰهِ

هُنَالِكَ الْمُبْطِلُوْنَ ﴿۷۸﴾ ع اَللّٰهُ الَّذِیْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَنْعَامَ
لِتَرْكَبُوْا مِنْهَا وَ مِنْهَا تَاْكُلُوْنَ ﴿۷۹﴾ ن وَ لَكُمْ فِیْهَا مَنَافِعُ وَ
لِتَبْلُغُوْا عَلَیْهَا حَاجَةً فِیْ صُدُوْرِكُمْ وَ عَلَیْهَا وَ عَلَى الْفُلْكِ
تُحْمَلُوْنَ ﴿۸۰﴾ ط وَ یُرِیْكُمْ اٰیٰتِهٖ ق صلے فَاَیَّ اٰیٰتِ اللّٰهِ تُنْكِرُوْنَ ﴿۸۱﴾
اَفَلَمْ یَسِیْرُوْا فِی الْاَرْضِ فَیَنْظُرُوْا كَیْفَ كَانَ عَاقِبَةُ
الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ط كَانُوْۤا اَكْثَرَ مِنْهُمْ وَ اَشَدَّ قُوَّةً

---

قُضِیَ بِالْحَقِّ وَخَسِرَ هُنَالِكَ الْمُبْطِلُوْنَ کأنسہ رسولس اوس نہ مقدور کہ سو کیا اَنِہ ہا کانہہ نشأنی مگر یہ کہ اللہ تعالیٰ سٔندہ اجازتہ سیت ادہ یلہ خدایہ سُند حکم عذابس متعلق واتہِ دُنیاءس اندر یا آخرتس اندر تمہِ ساتہ سپدہِ فیصلہ پزہِ سیت۔ تمہِ وقتہ روزن اہلِ باطل اَپزیر خسارس تہ تاوانس اندر اَللّٰهُ الَّذِیْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَنْعَامَ لِتَرْكَبُوْا مِنْهَا وَمِنْهَا تَاْكُلُوْنَ اللہ تعالیٰ ای گودُسہٕ یم پادہ کٔر تہندِہ خاطرہ چاروائے یُتھ تموأندرہ بعضین پیٹھ تُہہ سوار سپدِو تموأندرہ بعضین ہُند ماز کھیُو۔ وَلَكُمْ فِیْهَا مَنَافِعُ وَلِتَبْلُغُوْا عَلَیْهَا حَاجَةً فِیْ صُدُوْرِكُمْ بیہِ چھہِ تُہندِہ خاطرہ تمن منزواریاہ فایدہ۔ بیہ یُتھ تُہہ تمن پیٹھ کھسِتھ سوار سپد تھ واتوِ تمن مطلبن یم تُہندین دِلن منز آسن وَعَلَیْهَا وَعَلَى الْفُلْكِ تُحْمَلُوْنَ بیہ چھوہ تُہہ اکھ تمن چاروأین پیٹھ بیہ ناؤن اندر تُلنہ یوان تہ سیر کرہ ناونہ یوان وَیُرِیْكُمْ اٰیٰتِهٖ فَاَیَّ اٰیٰتِ اللّٰهِ تُنْكِرُوْنَ اللہ تعالیٰ چھہ تُوہہ پننہِ قدرتک نِشانہ ہاوان۔ پننہ نس پروردگارہ سندِس کتھ کتھ نشانس ہیکو تُہہ اِنکار کٔرِتھ یم لوکھ یم دلائل قائم سپد تھ تہ چھہِ توحیدہ نشہِ اِنکار کران کیاہ تمن چھناشرکہ ووبالچ خبر اَفَلَمْ یَسِیْرُوْا فِی الْاَرْضِ فَیَنْظُرُوْا كَیْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِیْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ کیاہ تمِ چھنا پھیر مت ملکس اندر۔ پس وچھ ہن تمِ کیاہ سپد مُت چھہ انجام تمن مُنکرن ہُند یم تمن برونٹھ اَس شرکہِ سببہ كَانُوْۤا اَكْثَرَ مِنْهُمْ وَاَشَدَّ قُوَّةً وَّاٰثَارًا فِی الْاَرْضِ حالانکہ تمِ برونٹھم لوکھ اَس تہندِہ خوتہ زیادہ عددہ کن۔ بیہِ اَس تہندِہ خوتہ زیادہ قوتہ کن، بیہ تمن نِشانن اندر یم تموز مینس پیٹھ پتھ کُن تراوی مچہِ مچہِ

وَّاٰثَارًا فِی الْاَرْضِ فَمَآ اَغْنٰی عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ﴿۸۲﴾ فَلَمَّا جَآءَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ فَرِحُوْا بِمَا عِنْدَهُمْ مِّنَ الْعِلْمِ وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ ﴿۸۳﴾ فَلَمَّا رَاَوْا بَاْسَنَا قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِاللّٰهِ وَحْدَهٗ وَكَفَرْنَا بِمَا كُنَّا بِهٖ مُشْرِكِيْنَ ﴿۸۴﴾ فَلَمْ يَكُ يَنْفَعُهُمْ اِيْمَانُهُمْ لَمَّا رَاَوْا بَاْسَنَا ؕ سُنَّتَ اللّٰهِ الَّتِیْ قَدْ خَلَتْ فِیْ عِبَادِهٖ ۚ وَخَسِرَ هُنَالِكَ الْكٰفِرُوْنَ ﴿۸۵﴾ ع

---

عِمارژ وغیرہ۔ فَمَآ اَغْنٰی عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ پس دُیت نہ تِمن کانہہ فایدہ تم مال وِدولتن یوسہ تم حاصلِ کران اَس۔ نہ آکھ سُہ مال و دولت بکار عذابہٕ نِشہِ بچہِ نَس اندر فَلَمَّا جَآءَتْهُمْ رُسُلُهُمْ بِالْبَيِّنٰتِ فَرِحُوْا بِمَا عِنْدَهُمْ مِّنَ الْعِلْمِ وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ پس یلہِ تِمن نِشہِ وات تُھند پیغمبر بنہِ دلیلہ ہیتھ تمِ اَس ژیرگان تتھ عِلمِ معاشس پیٹھ بیہ مادی ترقیاتہ کِس علمس پیٹھ بیہِ یمن غلط اعتقادَن پیٹھ۔ تمِ اَس پیغمبرَن ہندین علومِ ہدایتین پیٹھ اَس ٹھٹھہ کران فَلَمَّا رَاَوْا بَاْسَنَا قَالُوْٓا اٰمَنَّا بِاللّٰهِ وَحْدَهٗ وَكَفَرْنَا بِمَا كُنَّا بِهٖ مُشْرِكِيْنَ پس یلہِ تموٗ ڈِچھ سون عذاب۔ تموٗدن اَسہِ اَن ایمان کُنس خُدایس تہ اَسِ چھہِ انکار کران تِمن سارنٕی اپزین معبودن یِم اَسِ خدایس آسِکھ شریک گنزران کیازِہ سُہ اوس ایمانِ اضطراری۔ بندہ چھہِ مکلّف ایمانِ اختیاریُک فَلَمْ يَكُ يَنْفَعُهُمْ اِيْمَانُهُمْ لَمَّا رَاَوْا بَاْسَنَا تیلہ دیہِ نہ تِمن ایمان اَنن کانہہ فائدہ یُلہ تم سون عذاب وُچھن سُنَّتَ اللّٰهِ الَّتِیْ قَدْ خَلَتْ فِیْ عِبَادِهٖ یہِ چھہِ اللہ تعالیٰ سُند دستورِ قدیم برونٹھمہِ زمانہ پیٹھ پنہِ نین بندن اندر۔ یہِ چھہِ تم پنن معمول مقرّر کورمُت وَخَسِرَ هُنَالِكَ الْكٰفِرُوْنَ یلہِ نہ تُھند ایمان نفع دِوہٕ ڈن ثابت سپُد، نقصانس منز رود تمہِ وَقتہ تمِ کافر تہ منُکر یہے باشی بنہِ تِمن کافرن یِم توہہِ انکار کران چھہِ یار سول اللہ (صلی اللہ علیہ وسلم)



بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ ○

حٰمٓ ۚ ﴿۱﴾ تَنۡزِيۡلٌ مِّنَ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ ۚ ﴿۲﴾ كِتٰبٌ فُصِّلَتۡ اٰيٰتُهٗ قُرۡاٰنًا عَرَبِيًّا لِّقَوۡمٍ يَّعۡلَمُوۡنَ ۙ ﴿۳﴾ بَشِيۡرًا وَّنَذِيۡرًا ۚ فَاَعۡرَضَ اَكۡثَرُهُمۡ فَهُمۡ لَا يَسۡمَعُوۡنَ ﴿۴﴾ وَقَالُوۡا قُلُوۡبُنَا فِىۡۤ اَكِنَّةٍ مِّمَّا تَدۡعُوۡنَاۤ اِلَيۡهِ وَفِىۡۤ اٰذَانِنَا وَقۡرٌ وَّمِنۡۢ بَيۡنِنَا وَبَيۡنِكَ حِجَابٌ فَاعۡمَلۡ اِنَّنَا عٰمِلُوۡنَ ﴿۵﴾ قُلۡ اِنَّمَاۤ اَنَا بَشَرٌ مِّثۡلُكُمۡ يُوۡحٰۤى اِلَىَّ اَنَّمَاۤ اِلٰهُكُمۡ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ

---

حٰمٓ تہم زہ حرف چھہ حروفِ مُقطعاتو اندرہ۔ تِہند معنی زانہ پانہ اللہ تعالیٰ تَنۡزِيۡلٌ مِّنَ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ یہ کلام چھہ نازِل یوان کرنہ تس خدایہ سندہ طرفہ یُس رحمٰن ور حیم چھہ كِتٰبٌ فُصِّلَتۡ اٰيٰتُهٗ قُرۡاٰنًا عَرَبِيًّا لِّقَوۡمٍ يَّعۡلَمُوۡنَ یہ کلام چھہ کتاباہ یمک آیات صاف صاف تہ ویزھہ نادتہ آمت چھہِ۔ یہِ چھہ قرآنِ مجیداہ عربی زیوِہ اندر سمجھ دار لوکن ہندہِ خاطرہ۔ یتھ تِمن آسانی سان فِکرہ ترہِ اگرچہ مُکلف چھہِ ساری لوکھ مگر نفع تہ فایدہ چھہ واتان سمجھدار لوکنے بَشِيۡرًا وَّنَذِيۡرًا بشارت دِوہ ڈن چھہ یہِ قرآنِ مجید مانٔن والین بیہِ چھہ بیم گرہ ڈن نہ مانہ ونین۔ لازِم اوس تِتھین صِفتن ہُن نظر کٔرِ تھ کہِ ساری گژھ اتھ مانن تہ تسلیم کرن۔ فَاَعۡرَضَ اَكۡثَرُهُمۡ فَهُمۡ لَا يَسۡمَعُوۡنَ مگر واریہو لوکو کٔر روگردانی۔ پَس چھنہ تمِ یہ قرآنِ مجید بوزان۔ یلہِ تُہہ تِمن یہ قرآن مجید بوزہ ناوان چھوہ۔ وَقَالُوۡا قُلُوۡبُنَا فِىۡۤ اَكِنَّةٍ مِّمَّا تَدۡعُوۡنَاۤ اِلَيۡهِ وَفِىۡۤ اٰذَانِنَا وَقۡرٌ وَّمِنۡۢ بَيۡنِنَا وَبَيۡنِكَ حِجَابٌ فَاعۡمَلۡ اِنَّنَا عٰمِلُوۡنَ تمِ چھہِ دیان سانِ دِل چھہِ تھیلن تہ گوژرین منز بند تمہ نشہِ یتھ کُن تُہہ اَسہِ ناد چھوہ دِوان۔ بیہِ چھہ سانین کنن دوگہ تہ زرہِ یمہ موکھ سانین کنن منز تہنز آوازے چھنہ واتان۔ بیہِ چھہ اَسہِ منز تہ توہہِ منز ٹھور یمہ سببہ اَسہِ منزہ کانہہ اکھ اَکس سیت ملیتھ ہیکہِ نہ۔ لہٰذا اگرِ وتُہہ پنن کام۔ اَس تہِ چھہ کران پنن کام۔ یہِ مہ تھاوِ وتُہہ توقعے

فَاسۡتَقِيۡمُوۡۤا اِلَيۡهِ وَاسۡتَغۡفِرُوۡهُ ؕ وَوَيۡلٌ لِّلۡمُشۡرِكِيۡنَ ۙ۝۶ الَّذِيۡنَ لَا يُؤۡتُوۡنَ الزَّكٰوةَ وَهُمۡ بِالۡاٰخِرَةِ هُمۡ كٰفِرُوۡنَ ۝۷ اِنَّ الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَهُمۡ اَجۡرٌ غَيۡرُ مَمۡنُوۡنٍ ۝۸ قُلۡ اَئِنَّكُمۡ لَتَكۡفُرُوۡنَ بِالَّذِىۡ خَلَقَ الۡاَرۡضَ فِىۡ يَوۡمَيۡنِ وَتَجۡعَلُوۡنَ لَهٗۤ اَنۡدَادًا ؕ ذٰلِكَ رَبُّ الۡعٰلَمِيۡنَ ۝۹ وَجَعَلَ فِيۡهَا رَوَاسِىَ مِنۡ فَوۡقِهَا

---

کہِ اَس سَپدِو تھنزِ وَنھو تہٕ نصیحتو سیت متاثر قُلۡ اِنَّمَاۤ اَنَا بَشَرٌ مِّثۡلُكُمۡ يُوۡحٰٓى اِلَىَّ اَنَّمَاۤ اِلٰهُكُمۡ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ فَاسۡتَقِيۡمُوۡۤا اِلَيۡهِ وَاسۡتَغۡفِرُوۡهُ تُہہ فرماویو کھ یارسول اللہ اے لوکو میہ چھُنہٕ قدرت کہ بہ زبردستی کیاہ کرہ ناووہ بہ تُہہ توحید قبول۔ کیازِ بہ تہٕ چھُس توہی ہیواکھ انساناہ تہٕ بشراہ مگر اللہ تعالیٰ اَن چھہ میہ امتیازی شاناہ عطا کورمُت کہِ میہ کُن چھہ وَحی یِوان سوزنہ۔ سُی وَحی یُس عقلہِ کِن قابلِ قبول چھہ۔ سُہ وَحی چھہ اِی کہِ تُھند معبود چھہ کُئی معبود۔ پَس روزِو تُہہ متوجہ عبادتس اندر تس کُن۔ تس وَرای مہ کٔرِو کانسہِ ہنز عبادت۔ ازتان کانسہِ ہنز عبادت تَس ورائے کٔر مٕژ چھوہ تتھ منگیوس مغفرت۔ یعنی توحید کٔرِو قبول شرکہ نِشہِ کٔرِو توبہ وَوَيۡلٌ لِّلۡمُشۡرِكِيۡنَ * الَّذِيۡنَ لَا يُؤۡتُوۡنَ الزَّكٰوةَ وَهُمۡ بِالۡاٰخِرَةِ هُمۡ كٰفِرُوۡنَ سیٹھاہ بڈ خرابی چھہ تِمن مُشرِکن ہندِہ حقہ یِم نہ مضمونِ ثبوتِ نبوّت بیہ وجوب اتباعِ بوزِتھ پنن روِش ترٲوان بیہ یِم مالچ زکوٰۃ ادا کرن نہ۔ بیہ یِم آخرِتس چھہِ بدستور انکار کران اِنَّ الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ لَهُمۡ اَجۡرٌ غَيۡرُ مَمۡنُوۡنٍ تِمن بَر خلاف یِم لوکھ رسالتہِ کِس حق آسنس پٔژھ چھہِ کران بیہ تِم لوکھ یِمو ایمان اون بیہ کریکھ رٔژہ عملہ تِھندہِ خاطرہ چھہ آخرتس اندر سوموزوریوسہ نہ زانہہ ختم سپدِہ موکلہِ تہٕ موقوف سپدِہ قُلۡ اَئِنَّكُمۡ لَتَكۡفُرُوۡنَ بِالَّذِىۡ خَلَقَ الۡاَرۡضَ فِىۡ يَوۡمَيۡنِ وَتَجۡعَلُوۡنَ لَهٗۤ اَنۡدَادًا تُہہ فرماویو کھ یارسول اللہ تِمن لوکن اَے لوکو کیاہ تُہہ چھوہ تَس خدایہ سندِس تہٕ کُن آسنس اِنکار کران یِم یہ یِوت زمین پادہ کور دون دوہن اندر۔ بیہ چھِوہ تمسی خدائیس شریک ٹھہراون ذٰلِكَ رَبُّ الۡعٰلَمِيۡنَ یِوہے چھہ ساری عالمک تہٕ جہانک ربّ۔ سُی چھہ معبود تہٕ۔ وَجَعَلَ فِيۡهَا رَوَاسِىَ مِنۡ فَوۡقِهَا وَبٰرَكَ فِيۡهَا

وَبٰرَكَ فِيهَا وَقَدَّرَ فِيهَآ أَقْوَاتَهَا فِيٓ أَرْبَعَةِ أَيَّامٍ ؕ سَوَآءً
لِّلسَّآئِلِينَ ⑩ ثُمَّ اسْتَوٰٓى إِلَى السَّمَآءِ وَهِيَ دُخَانٌ فَقَالَ
لَهَا وَلِلْأَرْضِ ائْتِيَا طَوْعًا أَوْ كَرْهًا ؕ قَالَتَآ أَتَيْنَا طَآئِعِينَ ⑪
فَقَضٰىهُنَّ سَبْعَ سَمٰوَاتٍ فِي يَوْمَيْنِ وَأَوْحٰى فِي كُلِّ سَمَآءٍ أَمْرَهَا
وَزَيَّنَّا السَّمَآءَ الدُّنْيَا بِمَصَابِيحَ ۖ وَحِفْظًا ؕ ذٰلِكَ تَقْدِيرُ الْعَزِيزِ
الْعَلِيمِ ⑫ فَإِنْ أَعْرَضُوا فَقُلْ أَنْذَرْتُكُمْ صٰعِقَةً مِّثْلَ صٰعِقَةِ

---

وَقَدَّرَ فِيهَآ أَقْوَاتَهَا فِيٓ أَرْبَعَةِ أَيَّامٍ سَوَآءً لِّلسَّآئِلِينَ بیہ کٔر تمی اللہ تعالیٰ اَن پادہ زمیٖنس پیٹھ کوٚہن
ہندی لنگر۔ بیہ تھاوِن اَتھ زمیٖنس منز فائدک چیز بیہ کوٚرُن اَتھ پیٹھ روزَن والین ہندِ خاطرہ رزق
تجویز۔ پریتھ زمیٖنس الگ الگ قسمُک غذا۔ پریتھ قسمُک غلہ تہٕ میوہ کوٚرُن پادہ۔ بیہ سورُے سپُد ژورن
دوہن اندر۔ سارِنے منگن والین ہندِ خاطرہ برابر ثُمَّ اسْتَوٰٓى إِلَى السَّمَآءِ وَهِيَ دُخَانٌ فَقَالَ لَهَا
وَلِلْأَرْضِ ائْتِيَا طَوْعًا أَوْ كَرْهًا قَالَتَآ أَتَيْنَا طَآئِعِينَ تو پتہٕ سپُد اللہ تعالیٰ متوجہ آسمان پادہ کرنس کُن۔
سُہ اوس دوہا ہکھ زمین پادہ کرنہ برونٹھ۔ پس فرموٚون آسمانس تہٕ زمیٖنس تُہہ دوشوٚے اِیو سانس حُکمس
کُن۔ یُس حکم ماہ اس فرما ووہ سُہ مانو۔ وون چھہ توہہ اختیار خوشی سان مان تو یا زبردستی سیت مان تو۔ تمو
دوشوٚے دوپ اَسہ چھِ احکام ماننہ خاطرہ دوشوٚے حاضر نہایت خوشی سان فَقَضٰىهُنَّ سَبْعَ سَمٰوَاتٍ
فِي يَوْمَيْنِ وَأَوْحٰى فِي كُلِّ سَمَآءٍ أَمْرَهَا چنانچہ پس بناون تتھ اکس آسمانس ستھ آسمان دون دوہن اندر تو پتہٕ
کرن جاری پریتھ آسمانس منز تتہٕ کین ملایکن ہندِ خاطرہ تِم آسمانن منز بسہ ون تہٕ روزہ ون چھِہ پنن
پنن حکم وَزَيَّنَّا السَّمَآءَ الدُّنْيَا بِمَصَابِيحَ وَحِفْظًا بیہ دیُت اَسہ زینت آسمان دنیاہس ستارو سیت، بیہ کٔر اَسہ
راچھ شیطانَن ہندِ کِن دِنہ نشہِ ذٰلِكَ تَقْدِيرُ الْعَزِيزِ الْعَلِيمِ بیہ چھہ تجویز زبردست واقف الکل خدایہ
سُند یُس عبادتس لایق چھہ۔ یوہے چھہ کاملُ الصفات خدا نہ کہ تِم چیز یم ناقصُ الذات تہٕ چھہِ تہٕ ناقصُ
الصفات تہٕ چھہِ۔ فَإِنْ أَعْرَضُوا فَقُلْ أَنْذَرْتُكُمْ صٰعِقَةً مِّثْلَ صٰعِقَةِ عَادٍ وَثَمُودَ پس اگر یمہ دلیلہ بوزِتھ

عَادٍ وَّثَمُوْدَ ﴿۱۳﴾ اِذْ جَآءَتْهُمُ الرُّسُلُ مِنْۢ بَيْنِ اَيْدِيْهِمْ وَمِنْ خَلْفِهِمْ اَلَّا تَعْبُدُوْٓا اِلَّا اللّٰهَ ؕ قَالُوْا لَوْ شَآءَ رَبُّنَا لَاَنْزَلَ مَلٰٓئِكَةً فَاِنَّا بِمَآ اُرْسِلْتُمْ بِهٖ كٰفِرُوْنَ ﴿۱۴﴾ فَاَمَّا عَادٌ فَاسْتَكْبَرُوْا فِى الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ وَقَالُوْا مَنْ اَشَدُّ مِنَّا قُوَّةً ؕ اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّ اللّٰهَ الَّذِيْ خَلَقَهُمْ هُوَ اَشَدُّ مِنْهُمْ قُوَّةً ؕ وَكَانُوْا بِاٰيٰتِنَا يَجْحَدُوْنَ ﴿۱۵﴾ فَاَرْسَلْنَا عَلَيْهِمْ رِيْحًا صَرْصَرًا فِيْٓ اَيَّامٍ نَّحِسَاتٍ لِّنُذِيْقَهُمْ

---

تہ تم لوکہ توحید ہ نشہ پتھ پھیرن ادہ فرماویو کھ تہہ یار سول اللہ اے لوکو بہ چھُسوہ توہہِ بیم کران ترٹھِہ ترٹہِ ہُند یوسہ ترٹھ قومِ عادس تہ قومِ ثمودس پیٹھ شرک وکُفر کرنہ سببہ واقع سپز اِذْ جَآءَتْهُمُ الرُّسُلُ مِنْۢ بَيْنِ اَيْدِيْهِمْ وَمِنْ خَلْفِهِمْ اَلَّا تَعْبُدُوْٓا اِلَّا اللّٰهَ یلہِ یوان اس تمن نشہِ پیغمبر پتہ برونٹھ بلکہِ پریتھ طرفہ یہے کتھ ونان کہ ہالو کو عبادت مہ کرِ وکانسہ ہنز معبودِ برحقس ورا ے قَالُوْا لَوْ شَآءَ رَبُّنَا لَاَنْزَلَ مَلٰٓئِكَةً فَاِنَّا بِمَآ اُرْسِلْتُمْ بِهٖ كٰفِرُوْنَ تمو کافر ودوپھ تُہہ چھوہ یہ کتھ غلط ونان کہِ اَس سوز اللہ تعالیٰ ان۔ اگر سانِس پروردگارس یہِ منظور آسہا تیلہِ سوزِہ ہاسہ کانسہِ ملکس توہہِ پیٹھ کیازِہ واتہِ ہانوبت۔ لہذا چھہِ اَس تتھ سارے سے یہِ تُہہ ہیتھ سوزنہ آمت چھوہ اِنکار کران فَاَمَّا عَادٌ فَاسْتَكْبَرُوْا فِى الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ وَقَالُوْا مَنْ اَشَدُّ مِنَّا قُوَّةً پس یُس قومِ عاد اوس تمِ لگ تکبّر تہ غرور کرنہِ ملکس منز ناحق۔ بیہِ دُپکھ سانہِ خوتہ کُس چھہ زیادہ قوتہ کن۔ سُہ کُہہ حادثہ چھہ یتھ نہ اَس مدافعت ہیکو کرِتھ اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّ اللّٰهَ الَّذِيْ خَلَقَهُمْ هُوَ اَشَدُّ مِنْهُمْ قُوَّةً کیاہ تمن آونا بُوزنہ کہ بے شک اللہ تعالیٰ یم تمِ پادہ کری، سُہ چھہ سیٹھاہ زیادہ تُہندِہ خوتہ قوتہ کن۔ سُی ہیکہِ تمن پیٹھ عذاب واقع کرِتھ وَكَانُوْا بِاٰيٰتِنَا يَجْحَدُوْنَ مگر باوجودِ آن اون نہ تمو ایمان بلکہ ردد تمِ سانین آیاتن انکار کران۔ فَاَرْسَلْنَا عَلَيْهِمْ رِيْحًا صَرْصَرًا فِيْٓ اَيَّامٍ نَّحِسَاتٍ لِّنُذِيْقَهُمْ عَذَابَ الْخِزْيِ فِى الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا پس ترووپلہِ اَسہِ تمن پیٹھ تیز واوٗ تھِمن دوہن اندر یم دوہ بوجہِ نزولِ عذاب الٰہی تہندِہ حقہ منحوس تہ پھیشل اَسی یتھ اَس تمِ ژہہ ناوو کھ خواری ہند

عَذَابَ الْخِزْيِ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ۭ وَلَعَذَابُ الْاٰخِرَةِ اَخْزٰى وَهُمْ
لَا يُنْصَرُوْنَ ﴿١٦﴾ وَاَمَّا ثَمُوْدُ فَهَدَيْنٰهُمْ فَاسْتَحَبُّوا الْعَمٰى عَلَى الْهُدٰى
فَاَخَذَتْهُمْ صٰعِقَةُ الْعَذَابِ الْهُوْنِ بِمَا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ﴿١٧﴾ وَ
نَجَّيْنَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا يَتَّقُوْنَ ﴿١٨﴾ وَيَوْمَ يُحْشَرُ اَعْدَاۗءُ
اللّٰهِ اِلَى النَّارِ فَهُمْ يُوْزَعُوْنَ ﴿١٩﴾ حَتّٰٓى اِذَا مَا جَاۗءُوْهَا شَهِدَ
عَلَيْهِمْ سَمْعُهُمْ وَاَبْصَارُهُمْ وَجُلُوْدُهُمْ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿٢٠﴾
وَقَالُوْا لِجُلُوْدِهِمْ لِمَ شَهِدْتُّمْ عَلَيْنَا ۭ قَالُوْٓا اَنْطَقَنَا اللّٰهُ

عذاب دنياچي زندگي اندر وَلَعَذَابُ الْاٰخِرَةِ اَخْزٰى وَهُمْ لَا يُنْصَرُوْنَ ۽ پڇاڙيءَ تائين عذاب زياده رسوا ڪرڻ وارو آهي ۽ انهن تي ان وقت ڪنهن قسم مدد ڪرڻ وارو ڪونه هوندو. وَاَمَّا ثَمُوْدُ فَهَدَيْنٰهُمْ فَاسْتَحَبُّوا الْعَمٰى عَلَى الْهُدٰى فَاَخَذَتْهُمْ صٰعِقَةُ الْعَذَابِ الْهُوْنِ بِمَا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ۽ باقي قوم ثمود ته انهن کي اسان پيغمبرن جي ذريعي سڌو رستو ڏيکاريو. مگر انهن گمراهي اختيار ڪئي هدايت جي مقابلي ۾ تنهن ڪري انهن کي خوار ڪرڻ واري عذاب جي ڪڙڪي اچي پڪڙيو. ۽ انهن جا پوءِ ان سان گڏ جگر ڦاٽي پيا. انهن ڪمن جي ڪري جيڪي اهي ڪندا هئا. وَنَجَّيْنَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَكَانُوْا يَتَّقُوْنَ ۽ اسان انهن ماڻهن کي عذاب کان نجات ڏني جيڪي ايمان آڻي چڪا هئا ۽ شرڪ کان بچندا هئا. وَيَوْمَ يُحْشَرُ اَعْدَاۗءُ اللّٰهِ اِلَى النَّارِ فَهُمْ يُوْزَعُوْنَ ۽ جنهن ڏينهن خدا جا دشمن جهنم ڏانهن گڏ ڪيا ويندا ته ان ڏينهن انهن ماڻهن کي روڪيو ويندو. پوءِ جڏهن اهي جهنم ۾ هليا ويندا، جتي اهي سڀئي گڏ ٿيندا. حَتّٰٓى اِذَا مَا جَاۗءُوْهَا شَهِدَ عَلَيْهِمْ سَمْعُهُمْ وَاَبْصَارُهُمْ وَجُلُوْدُهُمْ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ تان جو جڏهن اهي جهنم وٽ ايندا ته انهن جا ڪن ۽ انهن جون اکيون ۽ انهن جون کلون انهن ڪمن جي شاهدي ڏينديون جيڪي اهي دنيا ۾ ڪندا هئا. وَقَالُوْا لِجُلُوْدِهِمْ لِمَ شَهِدْتُّمْ عَلَيْنَا قَالُوْٓا اَنْطَقَنَا اللّٰهُ الَّذِيْٓ اَنْطَقَ كُلَّ شَيْءٍ ۽ پوءِ اهي

الَّذِيْٓ اَنْطَقَ كُلَّ شَيْءٍ وَّهُوَ خَلَقَكُمْ اَوَّلَ مَرَّةٍ وَّاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ﴿٢١﴾ وَمَا كُنْتُمْ تَسْتَتِرُوْنَ اَنْ يَّشْهَدَ عَلَيْكُمْ سَمْعُكُمْ وَلَآ اَبْصَارُكُمْ وَلَا جُلُوْدُكُمْ وَلٰكِنْ ظَنَنْتُمْ اَنَّ اللّٰهَ لَا يَعْلَمُ كَثِيْرًا مِّمَّا تَعْمَلُوْنَ ﴿٢٢﴾ وَذٰلِكُمْ ظَنُّكُمُ الَّذِيْ ظَنَنْتُمْ بِرَبِّكُمْ اَرْدٰىكُمْ فَاَصْبَحْتُمْ مِّنَ الْخٰسِرِيْنَ ﴿٢٣﴾ فَاِنْ يَّصْبِرُوْا فَالنَّارُ مَثْوًى لَّهُمْ ۚ وَاِنْ يَّسْتَعْتِبُوْا فَمَا هُمْ مِّنَ الْمُعْتَبِيْنَ ﴿٢٤﴾ وَقَيَّضْنَا لَهُمْ قُرَنَاۗءَ فَزَيَّنُوْا لَهُمْ مَّا بَيْنَ

---

تم پنهنجن مُسلس ته پنهنجن تانئن توهه کيا زهِ ڏڙوه گواهي اُسهِ خلاف. اُسي تُهنڍي خاطره دُنياء س منز سورُے کينهه کران آس زيوهِ سيت اوُس به سارِنے گوُنهن اِنکار کران. توههِ کُس مُصيبت اوه توههِ هڙوه کٿه گرنهِ. اَخر يمه کٿه کرنه کمِ پڇهاوُ نوه تُوهيه. تم دِپنکھ جواب اُس کرهِ ناوُ کٿه تمِ خدااَين يُس سارِنے کٿه گره وُنين چيزن کٿه کره ناوان پڇهه وَّهُوَ خَلَقَكُمْ اَوَّلَ مَرَّةٍ وَّاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ تيم کروه تُوهيه پاده گوڏنچهِ لَٹهِ. بيهِ ڇهوه دوباره زنده کرِ تهِ تَس کُن واتناونه يوان وَمَا كُنْتُمْ تَسْتَتِرُوْنَ اَنْ يَّشْهَدَ عَلَيْكُمْ سَمْعُكُمْ وَلَآ اَبْصَارُكُمْ وَلَا جُلُوْدُكُمْ تُوهيه اُسوِ دُنياء س اندر غير نشهِ پوشيده روزِ ته گوناه کران. يهِ اُسوه نه خَبر که توهه پيٹھ کياه دِن گواهي کُن تهند اَچھ تُهنز ه ته مُسله تهند وَلٰكِنْ ظَنَنْتُمْ اَنَّ اللّٰهَ لَا يَعْلَمُ كَثِيْرًا مِّمَّا تَعْمَلُوْنَ ليکن توهه اوس گمان که الله تعالىٰ اُس ڇهنه خبرے وار يهن چيزن هنز تمو چيز وَاندره تيم توهيه کران اُسوه وَذٰلِكُمْ ظَنُّكُمُ الَّذِيْ ظَنَنْتُمْ بِرَبِّكُمْ اَرْدٰىكُمْ فَاَصْبَحْتُمْ مِّنَ الْخٰسِرِيْنَ اَمي تهند خيالن يُس توههِ پنهنجن پروردگارس متعلق اوس کياه کره وِه تُوهيه تباه تهِ برباد پَس سپدِ وِه تُوهيه تاوان زَدوِ اَندره فَاِنْ يَّصْبِرُوْا فَالنَّارُ مَثْوًى لَّهُمْ پَس هر گاه تمِ صبر گرن توته ڇهه تهنز جاے نارِ جهنم وَاِنْ يَّسْتَعْتِبُوْا فَمَا هُمْ مِّنَ الْمُعْتَبِيْنَ بيهِ هر گاه تمِ کينهه عذر و معذرت کرن،

اَيْدِيْهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ وَحَقَّ عَلَيْهِمُ الْقَوْلُ فِيْٓ اُمَمٍ
قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنَ الْجِنِّ وَالْاِنْسِ ۚ اِنَّهُمْ كَانُوْا
خٰسِرِيْنَ ﴿۲۵﴾ ع وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَا تَسْمَعُوْا لِهٰذَا الْقُرْاٰنِ
وَالْغَوْا فِيْهِ لَعَلَّكُمْ تَغْلِبُوْنَ ﴿۲۶﴾ فَلَنُذِيْقَنَّ الَّذِيْنَ
كَفَرُوْا عَذَابًا شَدِيْدًا ۙ وَّلَنَجْزِيَنَّهُمْ اَسْوَاَ الَّذِيْ كَانُوْا
يَعْمَلُوْنَ ﴿۲۷﴾ ذٰلِكَ جَزَآءُ اَعْدَآءِ اللّٰهِ النَّارُ ۚ لَهُمْ فِيْهَا
دَارُ الْخُلْدِ ۭ جَزَآءًۢ بِمَا كَانُوْا بِاٰيٰتِنَا يَجْحَدُوْنَ ﴿۲۸﴾

---

معافي منگن زاره پاره ڪرن تمن ٻيهِ نه هرگز معافي ڏِني ويندي صورتس اندره وَقَيَّضْنَا لَهُمْ قُرَنَآءَ فَزَيَّنُوْا لَهُمْ مَّا بَيْنَ اَيْدِيْهِمْ وَمَا خَلْفَهُمْ ٻيهِ اَس اَسهِ دُنياءِ س اَندر تمن سيت روزن وال شيطان مقرره ڪر مت تمو اوس تهنزن پتهِ مين برو نٿهمن عملن زينت ڏيٿمت تمني ڪامين پيٺ اس تمِ ڏاڍڪرِ تهه ڪُفر س پيٺ اصرار ته ڏاڍ ڪرنه موکه وَحَقَّ عَلَيْهِمُ الْقَوْلُ فِيْٓ اُمَمٍ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنَ الْجِنِّ وَالْاِنْسِ اِنَّهُمْ كَانُوْا خٰسِرِيْنَ پس سُپدِ تمن پيٺ خدايهِ سُند وعده عذاب پوره تمن لوڪن سيت تيم تمن برونٿ گذرے مت ڇهِ جنوّ ته انسانو اَندره بے شک تمِ ساري آسن تاوان زدو اَندره وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لَا تَسْمَعُوْا لِهٰذَا الْقُرْاٰنِ وَالْغَوْا فِيْهِ لَعَلَّكُمْ تَغْلِبُوْنَ ٻيهِ ڇهِ تيم ڪافر پانه وان ونان يتهه قرآن مجيد س مه ٿهاوِ وگن يمهِ ساته پيغمبر قرآن پرن آسهِ هيوان تُو هيه اَسوِ شور لاگان۔ شايد اَمهِ طريقه سپدِو تُهه غالب فَلَنُذِيْقَنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا عَذَابًا شَدِيْدًا وَّلَنَجْزِيَنَّهُمْ اَسْوَاَ الَّذِيْ كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ پس اَمهِ نالائق حرڪته موکه ژهه ناووکه اس تيم ڪافر سخت عذابک مزه ٻيهِ دِمَو اس تمن سزا تمن يچهه ڪامين هُند يمهِ تمِ ڪران اس ذٰلِكَ جَزَآءُ اَعْدَآءِ اللّٰهِ النَّارُ يوه ڇُهه سزا خدايهِ سندين دشمن هُند يعني نار لَهُمْ فِيْهَا دَارُ الْخُلْدِ جَزَآءًۢ بِمَا كَانُوْا بِاٰيٰتِنَا يَجْحَدُوْنَ تهندهِ خاطره ڇُهوا تهه نارس اندر

وَقَالَ الَّذِينَ كَفَرُوا رَبَّنَآ أَرِنَا الَّذَيْنِ أَضَلَّانَا مِنَ الْجِنِّ وَالْإِنسِ نَجْعَلْهُمَا تَحْتَ أَقْدَامِنَا لِيَكُونَا مِنَ الْأَسْفَلِينَ ﴿٢٩﴾ إِنَّ الَّذِينَ قَالُوا رَبُّنَا اللَّهُ ثُمَّ اسْتَقَامُوا تَتَنَزَّلُ عَلَيْهِمُ الْمَلَٰٓئِكَةُ أَلَّا تَخَافُوا وَلَا تَحْزَنُوا وَأَبْشِرُوا بِالْجَنَّةِ الَّتِي كُنتُمْ تُوعَدُونَ ﴿٣٠﴾ نَحْنُ أَوْلِيَآؤُكُمْ فِي الْحَيَوٰةِ الدُّنْيَا وَفِي الْآخِرَةِ ۖ وَلَكُمْ فِيهَا مَا تَشْتَهِيٓ أَنفُسُكُمْ وَلَكُمْ فِيهَا مَا تَدَّعُونَ ﴿٣١﴾ نُزُلًا مِّنْ

---

هميشه روز نگ گهره سزاء امه ڪئي ڪه تم اُس ڪران سانين آيا تن انڪار وَقَالَ الَّذِينَ كَفَرُوا رَبَّنَآ أَرِنَا الَّذَيْنِ أَضَلَّانَا مِنَ الْجِنِّ وَالْإِنسِ نَجْعَلْهُمَا تَحْتَ أَقْدَامِنَا لِيَكُونَا مِنَ الْأَسْفَلِينَ بيه ونن ڪافراے سانهِ پروردگار اسهِ ها ونيهه تمِ زه شخص يمواُس گمراه ڪري جنو ته انسانو اندره۔ اُس ٿهاوه هوڪه تمِ پنه نين لتن تل يتهه تمِ سارِي تل ڳن واته هن۔ بيه آسهِ گمراه ڪره وين پيڙهه تمن تيه سخت غصه ته ڙڪه۔ إِنَّ الَّذِينَ قَالُوا رَبُّنَا اللَّهُ ثُمَّ اسْتَقَامُوا تَتَنَزَّلُ عَلَيْهِمُ الْمَلَٰٓئِكَةُ أَلَّا تَخَافُوا وَلَا تَحْزَنُوا وَأَبْشِرُوا بِالْجَنَّةِ الَّتِي كُنتُمْ تُوعَدُونَ بے شڪ تمِ لوکه يمو دله سيت اِقرار ڪورڪه سون حقيقي پروردگار ڇهُ صرف الله تعالىٰ تو پته ڪرکه تهه پيڙهه استقامت تهِ ڪورُڪهِ يهِ اَتهه اقرارس شوبهِ ترود کهِ نه يهِ خيال ڳنهِ صور تَس اندر تمن پيڙهه وَسن ملائکه اکه مرنکهِ وقته بيه قبرن منز بيه قبر واَندر نيبر ينه ڪهِ وَقته تمے دپنکه تو هيه مه کهو ژواَخر ته ڪين هولناڪ حالاتن۔ بيه مه ٻبرو ڻهه غم دُنياء ڪس تراونس پيڙهه ڪيازِه توهه بنهِ تمهِ خوته ته رُت چيز۔ بشارت بوينِ توههِ تمهِ جنتچ يميک تُوهه پيغمبرن هندِه واسطه وعده يوان اوس ٿهاونه نَحْنُ أَوْلِيَآؤُكُمْ فِي الْحَيَوٰةِ الدُّنْيَا وَفِي الْآخِرَةِ اَس ڇههِ تهُند رفيقِ دُنياچهِ زندگي اندر تهِ۔ بيه روزوَاس تهُند رفيق آخرتَس اندر ته وَلَكُمْ فِيهَا مَا تَشْتَهِيٓ أَنفُسُكُمْ وَلَكُمْ فِيهَا مَا تَدَّعُونَ تهُندِه خاطره ڇهه يتهه جنتس اندر تهِ سورُي موجود يتهه ڳن توههِ خواهش ڳرڇهه۔ بيه ڇهوه توههِ ڳيت تهِ سورُے يهِ توهي منگوِ۔ ساري چيزين ٿهاونه توهه مُهيا نُزُلًا مِّنْ غَفُورٍ رَّحِيمٍ يهِ ڇهه گوڎنچ ضِيافت تهُندِه خاطره غفور ور حيم پروردگاره سندِه طرفه يمه

غَفُوۡرٍ رَّحِیۡمٍ ﴿۳۲﴾ؑ وَمَنۡ اَحۡسَنُ قَوۡلًا مِّمَّنۡ دَعَاۤ اِلَی اللّٰہِ وَعَمِلَ
صَالِحًا وَّقَالَ اِنَّنِیۡ مِنَ الۡمُسۡلِمِیۡنَ ﴿۳۳﴾ وَلَا تَسۡتَوِی الۡحَسَنَۃُ وَ
لَا السَّیِّئَۃُ ؕ اِدۡفَعۡ بِالَّتِیۡ ہِیَ اَحۡسَنُ فَاِذَا الَّذِیۡ بَیۡنَکَ وَبَیۡنَہٗ
عَدَاوَۃٌ کَاَنَّہٗ وَلِیٌّ حَمِیۡمٌ ﴿۳۴﴾ وَمَا یُلَقّٰہَاۤ اِلَّا الَّذِیۡنَ صَبَرُوۡا ۚ وَمَا
یُلَقّٰہَاۤ اِلَّا ذُوۡحَظٍّ عَظِیۡمٍ ﴿۳۵﴾ وَاِمَّا یَنۡزَغَنَّکَ مِنَ الشَّیۡطٰنِ نَزۡغٌ
فَاسۡتَعِذۡ بِاللّٰہِ ؕ اِنَّہٗ ہُوَ السَّمِیۡعُ الۡعَلِیۡمُ ﴿۳۶﴾ وَمِنۡ اٰیٰتِہِ الَّیۡلُ وَالنَّہَارُ
وَالشَّمۡسُ وَالۡقَمَرُ ؕ لَا تَسۡجُدُوۡا لِلشَّمۡسِ وَلَا لِلۡقَمَرِ وَاسۡجُدُوۡا لِلّٰہِ

---

نعمژ ین تو ہہ عطا کرنہ بکمالِ عزت واحترام یتھ کن مُعزز یژھین چھہ برونٹھ کین اَنہ یوان وَمَنۡ اَحۡسَنُ قَوۡلًا مِّمَّنۡ دَعَاۤ اِلَی اللّٰہِ وَعَمِلَ صَالِحًا وَّقَالَ اِنَّنِیۡ مِنَ الۡمُسۡلِمِیۡنَ بیہ کُہہِ اکھاہ چھہ زیادہ رُت کلامہ کن تسندہِ خوتہ یم لوکن ناددیُت معبودِ برحقس کُن بیہ کرین پانہ تہِ رژہ عملہ بیہ دوپُن اظہارِ اطاعت کران کہ بہ چھُس فرمانبردارو اَندرہ یعنی بہ چھُس خدایہ سنز بندگی کرن فخرِ زانان مُتکبرن ہندِ پاٹھ چھُس نہ عار زانان وَلَا تَسۡتَوِی الۡحَسَنَۃُ وَلَا السَّیِّئَۃُ اِدۡفَعۡ بِالَّتِیۡ ہِیَ اَحۡسَنُ بیہ چھنہ نیکی تہ بدی برابر بلکہ چھہ پریتھ کُنیک اثر الگ الگ۔ یلہِ یہ کتھ محقق سپز وون کرِو تُو ہہ معٓ اتباع بدی ہُند مدافعہ تمہِ طریقہ یُس بہتر آسہ فَاِذَا الَّذِیۡ بَیۡنَکَ وَبَیۡنَہٗ عَدَاوَۃٌ کَاَنَّہٗ وَلِیٌّ حَمِیۡمٌ تمُیک نتیجہِ نیرِہ کہ سُہ شخص یُس منز تہ تو ہہِ منز عداوت ودشمنی آسہِ سُہ بنہ تُہ یتھ زن سُہ دوست جانی آسہِ وَمَا یُلَقّٰہَاۤ اِلَّا الَّذِیۡنَ صَبَرُوۡا وَمَا یُلَقّٰہَاۤ اِلَّا ذُوۡحَظٍّ عَظِیۡمٍ یہِ کتھِ چھہ تمنی لوکن نصیب سپدان یم ثوابکہ اعتبارہ سیٹھاہ خوش نصیب تہ نیک بخت آسن وَاِمَّا یَنۡزَغَنَّکَ مِنَ الشَّیۡطٰنِ نَزۡغٌ فَاسۡتَعِذۡ بِاللّٰہِ اِنَّہٗ ہُوَ السَّمِیۡعُ الۡعَلِیۡمُ تِتھس وقتس اندر ہرگاہ تُو ہہ شیطانہ سندِہ طرفہ غضبُک تہ خشمک کانہہ وسوسہ پیدہ سُپدن ہیہ تمہِ ساتہ اَسِو فوراً پناہ منگان اللہ تعالیٰ اَس۔ بیشک سُہ چھُ سورُے بوزہ وُن سورُے زانہ وُن وَمِنۡ اٰیٰتِہِ الَّیۡلُ وَالنَّہَارُ وَالشَّمۡسُ وَالۡقَمَرُ

الَّذِیْ خَلَقَهُنَّ اِنْ كُنْتُمْ اِیَّاهُ تَعْبُدُوْنَ ﴿۳۷﴾ فَاِنِ اسْتَكْبَرُوْا فَالَّذِیْنَ
عِنْدَ رَبِّكَ یُسَبِّحُوْنَ لَهٗ بِالَّیْلِ وَالنَّهَارِ وَهُمْ لَا یَسْـَٔمُوْنَ ﴿۳۸﴾ السجدة
وَمِنْ اٰیٰتِهٖۤ اَنَّكَ تَرَى الْاَرْضَ خَاشِعَةً فَاِذَاۤ اَنْزَلْنَا عَلَیْهَا الْمَآءَ
اهْتَزَّتْ وَرَبَتْ ؕ اِنَّ الَّذِیْۤ اَحْیَاهَا لَمُحْیِ الْمَوْتٰى ؕ اِنَّهٗ عَلٰى كُلِّ
شَیْءٍ قَدِیْرٌ ﴿۳۹﴾ اِنَّ الَّذِیْنَ یُلْحِدُوْنَ فِیْۤ اٰیٰتِنَا لَا یَخْفَوْنَ عَلَیْنَا ؕ

---

بیہ چھُ خدایہ سِندیو قدرتہ کیو تہ توحیدہ کیو نشانو اندرہ رات تہ دوہ بیہ آفتاب تہ زُون لَا تَسْجُدُوْا لِلشَّمْسِ وَلَا لِلْقَمَرِ وَاسْجُدُوْا لِلّٰهِ الَّذِیْ خَلَقَهُنَّ اِنْ كُنْتُمْ اِیَّاهُ تَعْبُدُوْنَ اے لوکو توہہ مہ دِیو سجدہ نہ آفتابس نہ زونہ بلکہ دِیو سجدہ تَس معبودِ برحقس یمہ تمہِ پادہ کرِ چھو تُوہہ تَس یوت عبادت کران یعنی مُشرِک یم خدایہ سندِ عبادتُک دعوہ چھہِ کران تمہِ چھہِ عبادتَس اندر شرک انان۔ یتھ عبادتس اندر شرِک آسہِ حقیقتس منز گیہِ نہ سو خداوندِ کریمہ سنز عبادت۔ بلکہ تہند سُہ دعوہ چھہ باطل۔ خدایہ سنز عبادت چھوہ کرن تیلہِ کریوس عبادت شرک تراوِتھ تہ شرکہ ورای فَاِنِ اسْتَكْبَرُوْا فَالَّذِیْنَ عِنْدَ رَبِّكَ یُسَبِّحُوْنَ لَهٗ بِالَّیْلِ وَالنَّهَارِ وَهُمْ لَا یَسْـَٔمُوْنَ توپتہ ہرگاہ تم لوک غرور تہ تکبر کرن تَس عبادت کرنہ نشہِ سو چھہ تہنز حماقت تَس کیاہ پرواچھُ تمُیک۔ تمہِ ملایک یم تہندِس پروردگارہ سند مقرب چھہِ یم شان و عظمتس منز ساسہ گنہ زیادہ چھہِ راتَس تہ دوہ ہَس تہنز پاکی بیان کران۔ توپتہ چھنہ تم کُنہِ قسمہ کُنہِ وقتہ تھکان وَمِنْ اٰیٰتِهٖۤ اَنَّكَ تَرَى الْاَرْضَ خَاشِعَةً فَاِذَاۤ اَنْزَلْنَا عَلَیْهَا الْمَآءَ اهْتَزَّتْ وَرَبَتْ اِنَّ الَّذِیْۤ اَحْیَاهَا لَمُحْیِ الْمَوْتٰى بیہ چھہ تہندہ قدرتہ کیو تہ توحیدہ کیو نشانو اندرہ اکھ نشانہ ژہ چھُھکھ وچھان اے مخاطب یہ زمین ژمیومُت تہ ہوکھمُت۔ خشکی ہندہِ وقتہ چھہ ہوا اچ گرد تُلان تہ چھکراوان اَتی یلہِ اَس تراوان چھہِ تتھ پیٹھ رودائی چھس تازگی پھیلان بیہ چھہ پھولان تہ سرسبز سپدان بے شک یم پروردگارن یہ زمین مرِتھ بیہ زندہ کورسُی پروردگار چھہ مُردن زندہ کرہ وُن۔ اِنَّهٗ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ بے شک سُہ چھہ پرِیتھ چیزس پیٹھ قدرتہ وول یم پروردگارن یہِ مُردہ زمین زندہ کورسُہ ہیکہِ

أَفَمَن يُلْقَىٰ فِي النَّارِ خَيْرٌ أَم مَّن يَأْتِي آمِنًا يَوْمَ الْقِيَامَةِ ۚ اعْمَلُوا مَا شِئْتُمْ ۖ إِنَّهُ بِمَا تَعْمَلُونَ بَصِيرٌ ﴿٤٠﴾ إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا بِالذِّكْرِ لَمَّا جَاءَهُمْ ۖ وَإِنَّهُ لَكِتَابٌ عَزِيزٌ ﴿٤١﴾ لَّا يَأْتِيهِ الْبَاطِلُ مِن بَيْنِ يَدَيْهِ وَلَا مِنْ خَلْفِهِ ۖ تَنزِيلٌ مِّنْ حَكِيمٍ حَمِيدٍ ﴿٤٢﴾ مَّا يُقَالُ لَكَ إِلَّا مَا قَدْ قِيلَ لِلرُّسُلِ مِن قَبْلِكَ ۚ إِنَّ رَبَّكَ لَذُو مَغْفِرَةٍ وَذُو عِقَابٍ

---

نامرده انسانن هندين بدنن اندر روح واتناوِ ته، تمن دوباره زنده ڪرِ ته. ڪياه سُه قادرِ مُطلق هيڪهِ نامُومتين دِلن زنده ڪرِ ته پنهِ نور توحيده سيت بے شڪ سُه هيڪهِ سوُرى ڪينه ڪرِ ته. سُه چهُ پرِ يته چيزس پيٹھ قدرت ته وول إِنَّ الَّذِينَ يُلْحِدُونَ فِي آيَاتِنَا لَا يَخْفَوْنَ عَلَيْنَا بے شڪ يم لوڪھ سانن آياتن منز يم آيات توحيدس پيٹھ دلالت ڪران چھِ تمنى منز چھِ هول پڪان يعنے تمن منز چھِ شڪ ته شبه پاده ڪران. تم لوڪھ چھنه اَسهِ نشهِ ڪھٹتھ. اَسهِ چھُ تهند سوُرى حال معلوم. تمن دِمواَس سزا اِ نار أَفَمَن يُلْقَىٰ فِي النَّارِ خَيْرٌ أَم مَّن يَأْتِي آمِنًا يَوْمَ الْقِيَامَةِ ڪياه سُه شخص يُس نارس منز ترِوانه ييهِ چھا بهتر ڪين سو يُس قيامتڪ دوهو امن واماَنس اندر ولتهِ اعْمَلُوا مَا شِئْتُمْ إِنَّهُ بِمَا تَعْمَلُونَ بَصِيرٌ يه خوش ڪرهِ وه ته ڪرِ و بے شڪ الله تعالىٰ چھُ ته سوُرى واره وچهان يه توهه ڪران چھوه سارنى عملن هُند دِيوه سُه سزا إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا بِالذِّكْرِ لَمَّا جَاءَهُمْ وَإِنَّهُ لَكِتَابٌ عَزِيزٌ بيشڪ يمو لوڪو انڪار ڪور قرآن مجيدس يله سُه تمن نشهِ ووت تم ته وچھن تهُند انجام ڪياه آسهِ تمن چھُ نقص ته ڪمى پانس اندر. يتھ قرآن مجيدس اندر ڪانهه ڪمياه چھنه. يه قرآن مجيد چھُ باعزت وباوقعت ڪتاباه لَّا يَأْتِيهِ الْبَاطِلُ مِن بَيْنِ يَدَيْهِ وَلَا مِنْ خَلْفِهِ تَنزِيلٌ مِّنْ حَكِيمٍ حَمِيدٍ اَتھ هيڪهِ نه اَپزِ ته غير واقعى ڪتھ نکھ پتھ نه برونٹھ ڪن ته نه تھر ڪن يه چھُ نازِل آمُت ڪرنه حڪمت والِس ته حمد دِينه اَلِس خدايه سِندهِ طرفه مَّا يُقَالُ لَكَ إِلَّا مَا قَدْ قِيلَ لِلرُّسُلِ مِن قَبْلِكَ توههِ چھنه يوِان وننه مگر تمه ڪتھ يم وَننه آمژه چھه تمن پيغمبرن يم توهيه برونٹھ اَس. يه نُو ڪتهاه ڪانهه چھنه. تمو پيغمبرو ڪور يمن ڪتھن پيٹھ صبر. تُهه ته ڪرِ و صبر. يمهِ ڪتھ سيت ته ڪرِ و توُهه تسلى حاصل ڪهِ إِنَّ رَبَّكَ لَذُو مَغْفِرَةٍ

اَلِيۡمٍ ﴿۴۳﴾ وَلَوۡ جَعَلۡنٰهُ قُرۡاٰنًا اَعۡجَمِيًّا لَّقَالُوۡا لَوۡلَا فُصِّلَتۡ اٰيٰتُهٗ ؕ ءَاَعۡجَمِىٌّ وَّعَرَبِىٌّ ؕ قُلۡ هُوَ لِلَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا هُدًى وَّشِفَآءٌ ؕ وَالَّذِيۡنَ لَا يُؤۡمِنُوۡنَ فِىۡۤ اٰذَانِهِمۡ وَقۡرٌ وَّهُوَ عَلَيۡهِمۡ عَمًى ؕ اُولٰٓئِكَ يُنَادَوۡنَ مِنۡ مَّكَانٍۭ بَعِيۡدٍ ﴿۴۴﴾ وَلَقَدۡ اٰتَيۡنَا مُوۡسَى الۡكِتٰبَ فَاخۡتُلِفَ فِيۡهِ ؕ وَلَوۡلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتۡ مِنۡ رَّبِّكَ لَقُضِىَ

---

وَّذُوۡ عِقَابٍ اَلِيۡمٍ بے شک تُہند پروردگار چھُہ مغفرت ووِل تہٕ سخت عذاب کرہ وُن تہٕ پس اگر یِم مخالفین مخالفت کرنہٕ نِشہِ باز یِتھ مستحق مغفرت سپدن نہ تلہِ یِیہِ تِمن ضرور سزا دنہٕ لہٰذا گمہِ موکھ چھوہ توہہ پریشان روزان وَلَوۡ جَعَلۡنٰهُ قُرۡاٰنًا اَعۡجَمِيًّا لَّقَالُوۡا لَوۡلَا فُصِّلَتۡ اٰيٰتُهٗ بیہِ ہرگاہ اَسہِ کرہ ہون یہ قرآن مجید عجمی زیوِ اندر توتہٕ وَنہ ہَن لُکھ اَمِک آیات کونہ آے وارہ پاٹھ وِثرِ ناونہ عربی زیوِ اندر۔ ءَاَعۡجَمِىٌّ وَّعَرَبِىٌّ قُلۡ هُوَ لِلَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا هُدًى وَّشِفَآءٌ کیاہ کتاب چھِہ عجمی زیوِ اندر، پیغمبر تہٕ لوکھ چھِہ عربی۔ یہ قرآن مجید چھُہ عربی۔ دپان چھِہ یہ کونہ عجمی۔ ہرگاہ عجمی آسا ہاد پہٕ ہَن یہ کونہ چھُہ عربی۔ کُنہِ حالس پیٹھ چھِنہ تِمن قرار لوکن ہنز ذہنیت چھِہ یِژھے۔ توہہ فرماویو کھ یا رسول اللّٰہ۔ یہ قرآن مجید چھُہ باایمانن ہندِ خاطرہ رژہ کامہِ کرنُک اکھ ہدایت بیہ دلن ہنزن بیارِین ہندِ خاطرہ شفا وَالَّذِيۡنَ لَا يُؤۡمِنُوۡنَ فِىۡۤ اٰذَانِهِمۡ وَقۡرٌ وَّهُوَ عَلَيۡهِمۡ عَمًى بیہِ یِم لوکھ اتھ قرآن مجیدس پڑھِ چھِنہ گران تِہندین کَنَن چھُہ وُگہِ۔ یہ قرآن مجید چھُہ تِہندِ خاطرہ اَنرَ تہٕ نابینائی اُولٰٓئِكَ يُنَادَوۡنَ مِنۡ مَّكَانٍۭ بَعِيۡدٍ یِمن لوکن زَن چھُہ آلو یِوان دِنہ دورِ جایہِ پیٹھ یُس نہٕ تِمِ بوزان چھِہ وَلَقَدۡ اٰتَيۡنَا مُوۡسَى الۡكِتٰبَ فَاخۡتُلِفَ فِيۡهِ بتحقیق اَسہِ کرِیہِ عطا حضرتِ موسیٰؑ اَس تہٕ کتاب۔ تتھ منزتہٕ آوٕ اختلاف کرنہٕ کانسہِ مانٔ تہٕ کانسہِ مانٔی نہ تُہی مہ سپدِو مغموم یہ ٹوکتھاہ چھِنہ وَلَوۡلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتۡ مِنۡ رَّبِّكَ لَقُضِىَ بَيۡنَهُمۡ یِم منکرین چھِہ تیت مستحق عذاب کہ ہرگاہ سوکتھ آسہانہ یوسہ تہندِس پروردگارہ سندِ طرفہ برونٹھ مقرر کرنہ آمژ چھِہ کہ پورہ سزا یِیہِ کافرن دِنہ آخر تَس اندر نتہ یِیہِ ہا تِمن کافرن منز قطعی فاصلہ کرنہ دنیاسے

بَيْنَهُمْ وَإِنَّهُمْ لَفِي شَكٍّ مِّنْهُ مُرِيبٍ ﴿٤٥﴾ مَنْ عَمِلَ صَالِحًا
فَلِنَفْسِهِ وَمَنْ أَسَاءَ فَعَلَيْهَا وَمَا رَبُّكَ بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِيدِ ﴿٤٦﴾
إِلَيْهِ يُرَدُّ عِلْمُ السَّاعَةِ وَمَا تَخْرُجُ مِن ثَمَرَاتٍ مِّنْ
أَكْمَامِهَا وَمَا تَحْمِلُ مِنْ أُنثَىٰ وَلَا تَضَعُ إِلَّا بِعِلْمِهِ وَيَوْمَ
يُنَادِيهِمْ أَيْنَ شُرَكَائِي قَالُوا آذَنَّاكَ مَا مِنَّا مِن شَهِيدٍ ﴿٤٧﴾

---

منز وَإِنَّهُمْ لَفِي شَكٍّ مِّنْهُ مُرِيبٍ یم کافر چھہِ باوجود دلائل، عذابِ موعودہ کس شکس اندر یم یم تردُدس منز تراَومت چھہِ۔ یمن چھنہ عذابُک یقینے یوان حالانکہ فیصلہ چھہ ضرور واقع سپدہ وُن۔ تمہِ فیصلک حاصل چھہ ای کہ مَنْ عَمِلَ صَالِحًا فَلِنَفْسِهِ وَمَنْ أَسَاءَ فَعَلَيْهَا وَمَا رَبُّكَ بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِيدِ یُس شخصاہ رٕژ عمل کرہ تمیک فائدہ چھہ تس پانس یعنی تمیک نفع تہٕ فائدہ تُلہِ سُہ اَکھر تس اندر۔ بیہ یُس شخصاہ بچھ عمل کرِ تمیک نقصان تہٕ ضرر چھہ تس پانس تہند پروردگار چھنہ بندن پیٹھ ظلم کرہ وُن إِلَيْهِ يُرَدُّ عِلْمُ السَّاعَةِ یمہِ برونٹھ یمہِ قیامتک ذکر آمت چھہ کرنہ کہ تتھ منزایہ تمن جتلاونہ تمہِ قیامتہ علمک حوالہ چھہ خدایہ سی دنہ یوان۔ یعنی یمہِ سوالُک جواب کہ قیامت کریہِ۔ چنانچہ کافر اُس یہ سوال کران اِنکارہ خاطرہ۔ اَمہِ سوالُک جواب چھہ یوہے کہ اَمیک علم چھہ خدایہ سی یوت۔ مخلوقن تُمیک علم نہ آسنہ موکھ چھنہ لازم یوان کہ قیامت کیا آسی نہ۔ قیامتہ کہ وقتُک علم کیاہ تتھ چھہ۔ تس ذاتِ پاک سُند علم چھہ محیط پرتھ چیزس۔ حتّٰی کہ وَمَا تَخْرُجُ مِن ثَمَرَاتٍ مِّنْ أَكْمَامِهَا وَمَا تَحْمِلُ مِنْ أُنثَىٰ وَلَا تَضَعُ إِلَّا بِعِلْمِهِ کانہہ پھل تہٕ میوہ چھنہ پننہِ ٹورہِ یعنے غنچہ منزہ نبر نیران۔ نہ چھہ کانہہ مادہ گوبہ گھورہ روزان یعنے باردار سپدان نہ چھ کانہہ مادہ پریشان مگر یہ سورُے چھو تہندہ علم واطلاعہ موجب سپدان یہ چھ تہندِس توحیدس تہٕ کُن آسنس پیٹھ دلیل وَيَوْمَ يُنَادِيهِمْ أَيْنَ شُرَكَائِي قَالُوا آذَنَّاكَ مَا مِنَّا مِن شَهِيدٍ یمہِ دوہہ اللہ تعالیٰ مُشرکن آلو دِتھ فرماوِہ تمن توہہ میان شریک قرار دِوان اَسوہ ازکتہِ چھوہ تمہِ شریک۔ تمن دِیو آلو۔ تمہِ موکلاوہ نوہ مصیبتہ نشہِ۔ تمہِ دپن از چھہِ اَسی گذارش

وَضَلَّ عَنْهُمْ مَّا كَانُوا يَدْعُونَ مِنْ قَبْلُ وَظَنُّوا مَا لَهُمْ مِّنْ
مَّحِيصٍ ﴿٤٨﴾ لَا يَسْأَمُ الْإِنْسَانُ مِنْ دُعَاءِ الْخَيْرِ وَإِنْ مَّسَّهُ الشَّرُّ
فَيَئُوسٌ قَنُوطٌ ﴿٤٩﴾ وَلَئِنْ أَذَقْنَاهُ رَحْمَةً مِّنَّا مِنْ بَعْدِ ضَرَّاءَ
مَسَّتْهُ لَيَقُولَنَّ هٰذَا لِي وَمَا أَظُنُّ السَّاعَةَ قَائِمَةً وَلَئِنْ
رُّجِعْتُ إِلَىٰ رَبِّي إِنَّ لِي عِنْدَهُ لَلْحُسْنَىٰ ۚ فَلَنُنَبِّئَنَّ الَّذِينَ
كَفَرُوا بِمَا عَمِلُوا وَلَنُذِيقَنَّهُمْ مِّنْ عَذَابٍ غَلِيظٍ ﴿٥٠﴾ وَإِذَا

---

کران کہ اَسہِ منز چھُنہ کانہہ تہِ اَمہِ عقیدُک مُدعی۔ اَس چھِ ازپنہٕ غلطی ہُند اعتراف کران۔ از نینو اَسہِ
سوُرے وَضَلَّ عَنْهُمْ مَّا كَانُوا يَدْعُونَ مِنْ قَبْلُ وَظَنُّوا مَا لَهُمْ مِّنْ مَّحِيصٍ بیہِ سپدن غایب تِمن نشہٕ
تِم ساری یِمن پرستش کران اَس دُنیاہس اندر تِمہِ برونٹھ بیہِ زانن تِم یقینہ پاٹھ تِہندہ خاطرہ چھنہ
کانہہ موکلنچ تہ بچنچ صورتھاہ۔ اَمہِ پتہ چھُ اللہ تعالیٰ فرماوان لَا يَسْأَمُ الْإِنْسَانُ مِنْ دُعَاءِ الْخَيْرِ کہ
شرِک وکفرک اثر چھُ انسانی طبیعتس پیٹھ پیوان کہ یُس شخص توحید وایمانہ نشہِ بے بہرہ چھُ آسان،
تسند اخلاق، اعمال تہ عقاید چھِ تِتھی خراب آسان کہ آرام وسختی ہندس حالتس منز چھنہ تس انسانس
ترقی ہنزِہ خواہشہِ نشہِ یڑیوان کمال حرصہ موکھ وَإِنْ مَّسَّهُ الشَّرُّ فَيَئُوسٌ قَنُوطٌ یلہِ تِمس کانہہ تکلیفاہ
چھُ واتان تنگی وغیرہ ہش اَتی چھُ بددِل تہ نااُمید سپدان وَلَئِنْ أَذَقْنَاهُ رَحْمَةً مِّنَّا مِنْ بَعْدِ ضَرَّاءَ مَسَّتْهُ
لَيَقُولَنَّ هٰذَا لِي بیہِ یلہِ اَس تس کُنہِ سختی پتہ پننہِ مہربانی ہُندہ مزہ چھِ ہاوان تِمہِ ساتہ چھُ ونان یہ اوس
میانی خاطرہ کیازِہ میون تدبُر، لیاقت تہ قابلیّت اوس اَتھ منگان۔ یِتہ گیہِ غایت درِچ ناشکری تہ تکبّر
وَمَا أَظُنُّ السَّاعَةَ قَائِمَةً بیہِ چھُہِ دپان میہ کتہِ چھُ گمانہ کہ قیامت کیاہ سپدہ وَلَئِنْ رُّجِعْتُ إِلَىٰ
رَبِّي إِنَّ لِي عِنْدَهُ لَلْحُسْنَىٰ ہرگاہ بفرضِ محال بیہِ تہِ قیامت تو پتہ تِمہِ بہ پننہ رَبس خدایس نِش واتناونہ
تہِ بیشک میانہِ خاطرہ آسہ تس نِش ضرور رُتے فَلَنُنَبِّئَنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا بِمَا عَمِلُوا وَلَنُذِيقَنَّهُمْ مِّنْ
عَذَابٍ غَلِيظٍ پس خبر گرَواَس ضرور کافِرَن پننہ نین کرتوتن کامین ہنز۔ بیہ ژہناوو کھ اَس تِم سخت

اَنۡعَمۡنَا عَلَى الۡاِنۡسَانِ اَعۡرَضَ وَنَاٰ بِجَانِبِهٖ‌ۚ وَاِذَا مَسَّهُ الشَّرُّ فَذُوۡ دُعَآءٍ عَرِيۡضٍ ﴿۵۱﴾ قُلۡ اَرَءَيۡتُمۡ اِنۡ كَانَ مِنۡ عِنۡدِ اللّٰهِ ثُمَّ كَفَرۡتُمۡ بِهٖ مَنۡ اَضَلُّ مِمَّنۡ هُوَ فِىۡ شِقَاقٍۢ بَعِيۡدٍ‏ ﴿۵۲﴾ سَنُرِيۡهِمۡ اٰيٰتِنَا فِى الۡاٰفَاقِ وَفِىۡۤ اَنۡفُسِهِمۡ حَتّٰى يَتَبَيَّنَ لَهُمۡ

---

عذابُ مزو وَاِذَآ اَنۡعَمۡنَا عَلَى الۡاِنۡسَانِ اَعۡرَضَ وَنَاٰ بِجَانِبِهٖ‌ بيهِ يلهِ اُن جِٿهِن اِنسان کي نعمت عطا ڪرين ٿا تہ اسان کان منھن موڙي ٿو ۽ پري ٿي وڃي ٿو وَاِذَا مَسَّهُ الشَّرُّ فَذُوۡ دُعَآءٍ عَرِيۡضٍ تو پتہ يلهِ تِس کانہ سختياہ واتان چھ تمہ ساتہ چھہ ڪران زيٺھ زيٺھي دعاء قُلۡ اَرَءَيۡتُمۡ اِنۡ كَانَ مِنۡ عِنۡدِ اللّٰهِ ثُمَّ كَفَرۡتُمۡ بِهٖ مَنۡ اَضَلُّ مِمَّنۡ هُوَ فِىۡ شِقَاقٍۢ بَعِيۡدٍ توهہ فرماويو کھ يارسول اللہ کہ

اے مُنکرِو قرُ آنِ مجيدہ کس حق تہ پوز آسنس پيٺھ يمہِ دليلہ قائمِ چھہ مثلاً تميک معجز آسُن، تچہ غآبہ چہ خبرہ دِنہ۔ ہرگاہ توهہ تمہِ دليلہ عدمِ تدبرہ سببہ مورث يقين زانان چھوہ نہ تہ کم از کم مورث احتمال تہ چھو کھ ضرور زانان کيازِہ تمہ کس نفيس پيٺھ چھنہ توهہ نِش کهنے دليل۔ لهٰذا تھ احتمالس پيٺھ بناکرِ تھ ونتو توُهہ کہ ہرگاہ يہ قرآن خدايہ سے نشہِ آمُت آسہِ تو پتہ کرِ توهہ تتھ اِنکار، يتھس شخصہِ سندہِ خوتہ کُھہ اکھاہ آسہِ غلطی منز يُس پزِہ نشہِ دور ودراز مخالفس منز پيومُت آسہِ سَنُرِيۡهِمۡ اٰيٰتِنَا فِى الۡاٰفَاقِ وَفِىۡۤ اَنۡفُسِهِمۡ حَتّٰى يَتَبَيَّنَ لَهُمۡ اَنَّهُ الۡحَقُّ‌ؕ عنقريب ہاوَواُس تمن پننہِ قدرتک نشانہ يم دلالت اُس ڪران قرآن مجيدہ کس پوز آسنس پيٺھ۔ تمن گردونواح تہِ ہاوواُس تم نِشانہ کہ اقطار عرب سپدن ساينن پيشين گوين مطابق فتح۔ بيہِ ہاوَو خود تهندين پانن اندرتہِ نشانہ کہ تمِ ين مارنہ تہ قتل ڪرنہ جنگِ بدرس منز۔ تهُند شهر خود مکہ شريف تہِ سپدہِ فتح سُہ بيہِ مسلمانن ہندِس اَتھس اندر۔ تاآنکہ تمن ننہِ کہ يہ قرآن مجيد چھہ بالکل پُز اَمچہِ پيشين گوييہ چھہِ پزہ اَوَلَمۡ يَكۡفِ بِرَبِّكَ اَنَّهٗ عَلٰى كُلِّ شَىۡءٍ شَهِيۡدٌ کياہ تهندس پروردگارہ سنزِ يہ کتھ چھنا کافی تهندس پزِس پيٺھ آسنچ گواہی خاطرہ بيہ تهندہِ تسلی خاطرہ کہ سُہ چھہ

اَنَّهُ الْحَقُّ ؕ اَوَلَمْ يَكْفِ بِرَبِّكَ اَنَّهٗ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ شَهِيْدٌ ﴿۵۳﴾ اَلَاۤ اِنَّهُمْ فِیْ مِرْيَةٍ مِّنْ لِّقَآءِ رَبِّهِمْ ؕ اَلَاۤ اِنَّهٗ بِكُلِّ شَیْءٍ مُّحِيْطٌ ﴿۵۴﴾

---

پرِیتھ واقعی چیزس پیٹھ گواہ اَلَاۤ اِنَّهُمْ فِیْ مِرْيَةٍ مِّنْ لِّقَآءِ رَبِّهِمْ اَلَاۤ اِنَّهٗ بِكُلِّ شَیْءٍ مُّحِيْطٌ وارہ بوزِو کہ تمِ لوکھ چھ پننہ نِس پرٕوردگارس سیت ملاقات کرنہٕ نِس اندر شکس منز مبتلا تِمی چھکھنہ دِلن منز کانہہ خوف یمہ سببہ تمِ پزٕ کی طلب گار آسہن بیہ بوزوِوارہ کہ سُہ چھ پرِیتھ چیزس پننہِ علمہ سیت احاطہ کرِتھ۔ سُہ چھ تہندِس شک وشُبہس تہٕ زانان۔ تتھ پیٹھ دِیہ سُہ تِمن پورہ سزا۔



## سُوْرَةُ الشُّوْرٰى

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

حٰمٓ ﴿١﴾ عٓسٓقٓ ﴿٢﴾ كَذٰلِكَ يُوْحِيْٓ اِلَيْكَ وَاِلَى الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكَ ۙ اللّٰهُ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿٣﴾ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ۭ وَهُوَ الْعَلِيُّ الْعَظِيْمُ ﴿٤﴾ تَكَادُ السَّمٰوٰتُ يَتَفَطَّرْنَ مِنْ فَوْقِهِنَّ وَالْمَلٰۗئِكَةُ يُسَبِّحُوْنَ بِحَمْدِ رَبِّهِمْ وَيَسْتَغْفِرُوْنَ لِمَنْ فِي الْاَرْضِ ۭ اَلَآ اِنَّ اللّٰهَ هُوَ الْغَفُوْرُ الرَّحِيْمُ ﴿٥﴾ وَالَّذِيْنَ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖٓ اَوْلِيَاۗءَ اللّٰهُ

---

حٰمٓ * عٓسٓقٓ یم چھہِ حروفِ مقطعات تِمن ہند معنی زانہِ پانہ خدا كَذٰلِكَ يُوْحِيْٓ اِلَيْكَ وَاِلَى الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِكَ اللّٰهُ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ یتھ پاٹھیہِ سورہ شریفہ بڈین فائدن تہِ اصولِ دینن ہندہِ تحقیقہ خاطرہ توہہِ پیٹھ نازِل کرنہ آو، یتھے پاٹھ کور اللہ تعالیٰ اَن یُس سیٹھاہ غالِب چھہ، سیٹھاہ حکمتہ وول چھہ دینی اصولن ہندہ تحقیقہ خاطرہ توہہِ پیٹھ بیہِ تِمن پیغمبرن پیٹھ یم توہہِ برونٹھ اَس وَحی نازِل تَس خدایہ سُند شان چھہ کہِ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَهُوَ الْعَلِيُّ الْعَظِيْمُ تہندُوی چھہ تہِ سورُے یہِ آسمانن تہ زمینن اندر چھہ۔ سُی چھہ ساروے خوتہ بوڈ تَكَادُ السَّمٰوٰتُ يَتَفَطَّرْنَ مِنْ فَوْقِهِنَّ وَالْمَلٰۗئِكَةُ يُسَبِّحُوْنَ بِحَمْدِ رَبِّهِمْ وَيَسْتَغْفِرُوْنَ لِمَنْ فِي الْاَرْضِ اَلَآ اِنَّ اللّٰهَ هُوَ الْغَفُوْرُ الرَّحِيْمُ تمسند س عظمت و شانس اگرچہ بعضے اہلِ زمین مہ زان تن، متہ مان تن مگر آسمانس اندر چھہ تسند شان زانَن وال۔ یعنی ملایکہ تیت بکثرت کہ کینہہ دور چھنہ کہ تمِ آسمان کیاہ پھٹن پننہِ ہیر مہِ طرفہ ملایگن ہندہِ گوبرہ تیت چنانچہ حدیث شریفس منز چھہ آمُت أطت السماء وحق لها أن تئط ما فيها موضع أربعة أصابع الا وملك واضع جبهته ساجدالله (رواہ الترمذی وابنِ ماجہَ) فرمو نبی کریمن صلی اللہ علیہ وسلمِ آسمانس چھہ کر کر گڑھان،

حَفِيظٌ عَلَيْهِمْ ۖ وَمَا أَنتَ عَلَيْهِم بِوَكِيلٍ ﴿٦﴾ وَكَذَٰلِكَ أَوْحَيْنَا إِلَيْكَ قُرْآنًا عَرَبِيًّا لِّتُنذِرَ أُمَّ الْقُرَىٰ وَمَنْ حَوْلَهَا وَتُنذِرَ يَوْمَ الْجَمْعِ لَا رَيْبَ فِيهِ ۚ فَرِيقٌ فِي الْجَنَّةِ وَفَرِيقٌ فِي السَّعِيرِ ﴿٧﴾ وَلَوْ شَاءَ اللَّهُ لَجَعَلَهُمْ أُمَّةً وَاحِدَةً وَلَٰكِن يُدْخِلُ مَن يَشَاءُ

---

تتھ پزِہ کر کرگژھن کیازِہ تتھ منز پھٹنہ اُکس چیس برابر تہِ جای خالی یتہِ نس نہ اکھ اکھ ملک پنن کلہ تراوِ تھ اللہ تعالیٰ اُس سجدہ دوان پھُ۔ تمِ ملایک چھہِ تسبیح تہ حمد پنس پروردگارہ سند پران۔ بیہ چھہِ زمینہ کین لوکن ہندِہ خاطرہ مغفرت منگان۔ وارہ بوزِوسہ پروردگار چھہ سیٹھاہ مغفرت کرہ ڈن سیٹھاہ رحم گرہ ڈن وَالَّذِينَ اتَّخَذُوا مِن دُونِهِ أَوْلِيَاءَ اللَّهُ حَفِيظٌ عَلَيْهِمْ وَمَا أَنتَ عَلَيْهِم بِوَكِيلٍ بیہِ یمو لوکو ٹھراوی مت چھہ تَس ورأے دوست تہ مددگار اللہ تعالیٰ چھہ تہنز ہ سارے کامہِ ژرژان۔ سُہ دیہِ پانے وقس پیٹھ تمن سزاء۔ توہہ نہ حض چھُوہ نہ یارسول اللہ تمن لوکن پیٹھ کانہہ اختیاراہ کہ یمہِ ساتہ خوش کرہِ ہا تمہِ ساتہ کرہ ناوی ہو تمن پیٹھ عذابِ نازِل۔ امیک اختیار چھہ خدایہ سے تہ توہہ مہ سپدِو غمگین تہندِس ایمان نہ انہ نس پیٹھ، کیازِہ تہنز کام چھہ صرِف تبلیغ کرُن تہ حکم واتناون۔ چنانچہ وَكَذَٰلِكَ أَوْحَيْنَا إِلَيْكَ قُرْآنًا عَرَبِيًّا لِّتُنذِرَ أُمَّ الْقُرَىٰ وَمَنْ حَوْلَهَا وَتُنذِرَ يَوْمَ الْجَمْعِ لَا رَيْبَ فِيهِ اسِ سوزِتھے پاٹھ توہہِ کُن قرآن مجید یتھ پاٹھ توہہ وچھان چھُوہ عربی زیوِہ اندر۔ یُتھ تُوہہ۔ بیم کرو سارنے برونٹھ مکہ کین لوکن بیہِ تمن لوکن یم یتھ انداندبسان چھہِ تہ روزان چھہ بیم تہ کرہ یوکھ سمکھہِ ڈُہک یعنی قیامتہ کہِ ڈُہک یمہِ دوہہ ساری اولین و آخرین جمع کرنہ ین یتھ منز نہ شکھے چھہ یمہِ دوہہ یہ فاصلہ کرنہ ییہِ کہ فَرِيقٌ فِي الْجَنَّةِ وَفَرِيقٌ فِي السَّعِيرِ تمہِ دوہہ گژھن لوکن زہ حِصہ اکھ حِصہّ جنتس منز۔ بیاکھ حِصہّ جہنمّس منز۔ تہنز کام چھہ محض امہ دوہہ نشہِ لوکھ کھوژہ ناون۔ باقی لوکن ہندِہ ایمان انہ نگ یانہ انہ نُگ، اتھ سیت کیاہ چھہ توہہِ یہ سوُرے چھہ خدایہ سندِس یژھنس تان وَلَوْ شَاءَ اللَّهُ لَجَعَلَهُمْ أُمَّةً وَاحِدَةً وَلَٰكِن يُدْخِلُ مَن يَشَاءُ فِي رَحْمَتِهِ ۚ وَالظَّالِمُونَ مَا لَهُم مِّن وَلِيٍّ وَلَا نَصِيرٍ ہرگاہ خدایس منظور

فِیْ رَحْمَتِهٖ ؕ وَ الظّٰلِمُوْنَ مَا لَهُمْ مِّنْ وَّلِیٍّ وَّ لَا نَصِیْرٍ ⑧ اَمِ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖۤ اَوْلِیَآءَ ۚ فَاللّٰهُ هُوَ الْوَلِیُّ وَ هُوَ یُحْیِ الْمَوْتٰی ۫ وَ هُوَ عَلٰی كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ ⑨ۧ وَ مَا اخْتَلَفْتُمْ فِیْهِ مِنْ شَیْءٍ فَحُكْمُهٗۤ اِلَی اللّٰهِ ؕ ذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبِّیْ عَلَیْهِ تَوَكَّلْتُ ۖۗ وَ اِلَیْهِ اُنِیْبُ ⑩ فَاطِرُ السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضِ ؕ جَعَلَ لَكُمْ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ اَزْوَاجًا وَّ مِنَ الْاَنْعَامِ اَزْوَاجًا ۚ یَذْرَؤُكُمْ فِیْهِ ؕ لَیْسَ كَمِثْلِهٖ شَیْءٌ ۚ وَ هُوَ

آسہاسہٕ کرِہا تِمن سارِنے لوکن ہندِہ خاطرہ اَکے وَتھاہ یعنے سارنے کرِہا ایمان نصیب۔ مگر وارِیہن حکمتن ہُنٛد نظر کرتھ سُپدنہٕ تَس یہِ منظور لیکن سُہ یَس یژھان چھُہ تَس چھُہ ایمانس کُن وتھ ہاوِتھ واتناوان پننہِ رحمتس منز۔ تِمن یژھان چھُہ تِمن چھُہ کفر و سرکش منز مبتلاکرِتھ پننہِ رحمتہ نشہِ نیبر کڈان تہٕ دور کران۔ چنانچہ تِمن ظالمن آسہِ نہٕ قیامتُک دوہ نہٕ کانہہ دوستاہ تہٕ نہٕ کانہہ مددگاراہ اَمِ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِهٖۤ اَوْلِیَآءَ فَاللّٰهُ هُوَ الْوَلِیُّ وَ هُوَ یُحْیِ الْمَوْتٰی وَ هُوَ عَلٰی كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ کیاہ تِمو لوکو چھا روٗٹمت معبودِ برحقس ورأے بدل دوست تہٕ مددگار پس اگر کانسہِ کارساز تہٕ دوست بناوُن چھُہ سُہ چھُہ اللہ تعالیٰ ای یوت بیہ نہٕ کانہہ۔ سُی چھُ مُردن زندہ کرہٕ وُن بیہ چھُہ سُی پرتھ چیزس پیٹھ قدرتہٕ وول وَ مَا اخْتَلَفْتُمْ فِیْهِ مِنْ شَیْءٍ فَحُكْمُهٗۤ اِلَی اللّٰهِ توہہ فرماؤو تِمن لوکن یِم توہہِ سیت توحیدس اندر اختلاف کران چھِہ کہ بیہ یتھہ یتھہ چیزس اندر تُہہ پرٛیارین سیت اختلاف چھِوہ کران۔ توحیدس وغیرہ چیزن اندر، تِمیک فیصلہ چھُہ تسی سُپرد۔ دنیائس اندر صحیح دلیلو سیت آخرتس اندر فریق فی الجنة و فریق فی السعیر سیت ذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبِّیْ عَلَیْهِ تَوَكَّلْتُ وَ اِلَیْهِ اُنِیْبُ یہِ اللہ تعالیٰ یمسند شان یہِ چھُہ، چھُہ میون رب۔ تس پیٹھ چھُس بہٕ توکل کران تس کُن۔ چھُس بہٕ سارِنے دینہ چَن تہٕ دُنیاچَن کامین اندر رجوع کران۔ فَاطِرُ السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضِ جَعَلَ لَكُمْ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ اَزْوَاجًا وَّ مِنَ الْاَنْعَامِ اَزْوَاجًا سُی چھُہ آسمانن تہٕ زمینن ہُند پادہ کرہٕ وُن تِمی کر تہندِہ خاطرہ توہی منز تہند جورہ یتھے پاٹھ کرن چاروٲین اندر تہٕ پادہ جورہ

السَّمِيۡعُ الۡبَصِيۡرُ ﴿١١﴾ لَهٗ مَقَالِيۡدُ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ ۚ يَبۡسُطُ
الرِّزۡقَ لِمَنۡ يَّشَآءُ وَيَقۡدِرُ ؕ اِنَّهٗ بِكُلِّ شَىۡءٍ عَلِيۡمٌ ﴿١٢﴾ شَرَعَ لَكُمۡ
مِّنَ الدِّيۡنِ مَا وَصّٰى بِهٖ نُوۡحًا وَّالَّذِىۡۤ اَوۡحَيۡنَاۤ اِلَيۡكَ وَمَا
وَصَّيۡنَا بِهٖۤ اِبۡرٰهِيۡمَ وَمُوۡسٰى وَعِيۡسٰٓى اَنۡ اَقِيۡمُوا الدِّيۡنَ وَ
لَا تَتَفَرَّقُوۡا فِيۡهِ ؕ كَبُرَ عَلَى الۡمُشۡرِكِيۡنَ مَا تَدۡعُوۡهُمۡ اِلَيۡهِ ؕ اَللّٰهُ
يَجۡتَبِىۡۤ اِلَيۡهِ مَنۡ يَّشَآءُ وَيَهۡدِىۡۤ اِلَيۡهِ مَنۡ يُّنِيۡبُ ﴿١٣﴾ وَمَا

---

جوره يَذۡرَؤُكُمۡ فِيۡهِ لَيۡسَ كَمِثۡلِهٖ شَىۡءٌ وَهُوَ السَّمِيۡعُ الۡبَصِيۡرُ سُ ڇُ توهِ اٿ زمينس منز ڇھکراوان، تهند نسل بڑاوان تُس هيو ڇُھنه کانهه۔ سُ ڇھ سورُے ٻُوزهڊُن، سُورے ڊِڇھڊُن لَهٗ مَقَالِيۡدُ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ تُس اَتھ ڇھ آسمانن ته زمينن هندين خزانن هنزه کونزه يَبۡسُطُ الرِّزۡقَ لِمَنۡ يَّشَآءُ وَيَقۡدِرُ سُ ڇُھ رزق زياده کران يَس يژھان ڇھه ،بيِه ڇھه سُ رزق کم کران يَس يژھان ڇھه اِنَّهٗ بِكُلِّ شَىۡءٍ عَلِيۡمٌ بے شک سُ ڇھو پريٿھ ڇيزاه پوز زانهڊُن شَرَعَ لَكُمۡ مِّنَ الدِّيۡنِ مَا وَصّٰى بِهٖ نُوۡحًا وَّالَّذِىۡۤ اَوۡحَيۡنَاۤ اِلَيۡكَ وَمَا وَصَّيۡنَا بِهٖۤ اِبۡرٰهِيۡمَ وَمُوۡسٰى وَعِيۡسٰٓى اَنۡ اَقِيۡمُوا الدِّيۡنَ وَلَا تَتَفَرَّقُوۡا فِيۡهِ الله تعالىٰ ان کور توهِ لوکن هنده خاطره سُ دين مقرر يمِيک حکم فرموون نوح عليه السلامس بيِه يُس اَسه توهه کن وحی کُر بيِه تيِچ وصيت اسه ابراهيم عليه الصلاة والسلامن کر بيِه موسیٰ عليه السلامس بيِه عيسیٰ عليه السلامَس۔ تهزن امتن ته فرموٚاَسِه اٿ دينس پيٹھ روزِو قايم اٿ منزمِه کرو تفرقه۔ مراد ڇھ امِه اندره اصُول دين يم سارنے اندر مشترک ڇھه مثلاً توحيد، رسالت ته معاد۔ پس اوس لازم لوکن گه اٿ کره هن قبول مگر افسوس كَبُرَ عَلَى الۡمُشۡرِكِيۡنَ مَا تَدۡعُوۡهُمۡ اِلَيۡهِ سيٹھاه دشوار ڇھه گذارن مشرکن پيٹھ سوکتھ يتھ کن توهه تمن ناد ڇھوه دوان يعني توحيد اٿ سيت ڇھ يِه کتھ ته که اَللّٰهُ يَجۡتَبِىۡۤ اِلَيۡهِ مَنۡ يَّشَآءُ الله تعالىٰ ڇُھ درسه دوان پانس کن ننهِ خاطره تمن يمن يژھان ڇھ۔ يعني دين حق قبول کرنک توفيق ڇُھکھ دِوان وَيَهۡدِىۡۤ اِلَيۡهِ مَنۡ يُّنِيۡبُ بيِه ڇُھه وتھ هاوان پانس کُن تمن يمِ تُس کن پھيران ته رجوع کران ڇھه وَمَا تَفَرَّقُوۡۤا اِلَّا مِنۡۢ بَعۡدِ مَا جَآءَهُمُ الۡعِلۡمُ بَغۡيًاۢ بَيۡنَهُمۡ سون

تَفَرَّقُوْٓا اِلَّا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَهُمُ الْعِلْمُ بَغْيًاۢ بَيْنَهُمْ ۭ وَلَوْلَا
كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِنْ رَّبِّكَ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى لَّقُضِيَ بَيْنَهُمْ ۭ وَ
اِنَّ الَّذِيْنَ اُوْرِثُوا الْكِتٰبَ مِنْۢ بَعْدِهِمْ لَفِيْ شَكٍّ مِّنْهُ مُرِيْبٍ ﴿۱۴﴾
فَلِذٰلِكَ فَادْعُ ۚ وَاسْتَقِمْ كَمَآ اُمِرْتَ ۚ وَلَا تَتَّبِعْ اَهْوَاۗءَهُمْ ۚ
وَقُلْ اٰمَنْتُ بِمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ مِنْ كِتٰبٍ ۚ وَاُمِرْتُ لِاَعْدِلَ
بَيْنَكُمْ ۭ اَللّٰهُ رَبُّنَا وَرَبُّكُمْ ۭ لَنَآ اَعْمَالُنَا وَلَكُمْ اَعْمَالُكُمْ ۭ لَا

---

حُکم یُس برو نُٹھمن امتن اوس کہ اَقِیْمُوا الدِّیْنَ وَلَا تَتَفَرَّقُوْا فِیْهِ ۭ واریاہ لوکھ رود نہ اَتھ حُکمس پیٹھ قائم تِم
سپدے اکھ اَکِس نِشہِ جُدا لیکن امیک سبب اوس نہ کُنہِ قسمُک اشتباہ تہ شک کیا اوس تِمن بلکہِ سُپد تِمن نِشہِ
علم صحیح واتنہ پتہ محض اکھ اکہ سندہِ ضِدہ تہ عداوتہ وَلَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِنْ رَّبِّكَ اِلٰٓى اَجَلٍ مُّسَمًّى
لَّقُضِيَ بَيْنَهُمْ ہرگاہ نَے تہندس پروردگارہ سندہ طرفہ اکھ حکم (یعنی تِمن مہلت دِنِ اَکِس معین
وقتس تان برونٹھ جاری سُپد مُت آسِہا۔ تہ ییہِ ہا تِمن منز دنیاسی منز فاصلہ کرنہ۔ یعنے تِم ییہِن تِھس
عذابس گرفتار کرنہ یتمہِ سیت تِم مُلہ مونجہِ گالنہ ییہِن وَاِنَّ الَّذِيْنَ اُوْرِثُوا الْكِتٰبَ مِنْۢ بَعْدِهِمْ لَفِيْ شَكٍّ
مِّنْهُ مُرِيْبٍ بے شک تِمہِ لوکھ یِمن کِتاب آیہ دِنہ برونٹھمن امتن پتہ (اَمہِ اَندرہ چھہ مشرکین
عرب۔ تِمن آے یہ کتاب یعنی قرآن مجید بواسطہ حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلم عطا کرنہ) تِم چھہِ
ضرور تمہِ کتابہِ ہندس حقس اندر بڈس شکس اندر تراونہ آمت یُس تِمن تردس منز تراوان چھہ
فَلِذٰلِكَ فَادْعُ ۚ وَاسْتَقِمْ كَمَآ اُمِرْتَ ۚ وَلَا تَتَّبِعْ اَهْوَاۗءَهُمْ لہٰذا امہِ سپدِو توہہ دِل شکستہ کانسہِ ہندہِ انکار
کرنہ سیت بلکہِ دیو توہہ ناد تِمن اتھ قرآن مجیدس کُن برابر۔ بیہِ کرِو توہہ پانہ تہ استقامت تتھ پیٹھ یتھ
پاٹھ توہہِ حکم آو کرنہ تہنزن خواہشن ہنز مہ کرِو پیروی۔ تِم چھہ یژھان مخالفت کرنہ سیت اِیو توہہ عاجز
تو پتہ تراوِو توہہ تِمن تبلیغ کرُن۔ مگر یتھنہ تُوہہ تہِ کرِو ہرگز وَقُلْ اٰمَنْتُ بِمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ مِنْ كِتٰبٍ
وَاُمِرْتُ لِاَعْدِلَ بَيْنَكُمْ ۭ اَللّٰهُ رَبُّنَا وَرَبُّكُمْ ۭ لَنَآ اَعْمَالُنَا وَلَكُمْ اَعْمَالُكُمْ بیہِ فرماویو کھ تُوہہ بویتھ کتھ

حُجَّةَ بَيْنَنَا وَبَيْنَكُمُ ۖ اللَّهُ يَجْمَعُ بَيْنَنَا ۖ وَإِلَيْهِ الْمَصِيرُ ﴿١٥﴾
وَالَّذِينَ يُحَاجُّونَ فِي اللَّهِ مِنْ بَعْدِ مَا اسْتُجِيبَ لَهُ حُجَّتُهُمْ
دَاحِضَةٌ عِنْدَ رَبِّهِمْ وَعَلَيْهِمْ غَضَبٌ وَلَهُمْ عَذَابٌ شَدِيدٌ ﴿١٦﴾
اللَّهُ الَّذِي أَنْزَلَ الْكِتَابَ بِالْحَقِّ وَالْمِيزَانَ ۗ وَمَا يُدْرِيكَ

---

کُن توہہِ ناد چھُس دِوان بو چھُس پانہ تتھ عمل کران۔ چنانچہ میہ کر پڑھ تمن سارِنے کتابن یمہ اللہ تعالیٰ اَن نازِل چھہ کرہ مژہ۔ بیہِ آومیہ حُکم کرنہ کہ توہہِ منز گرہ تھندین اختلافاتن عدل وانصافہ موجُب فیصلہ یعنے یُس چیز ہ توہہِ پیٹھ واجب مقرر کرہ سہ چیز زانہ پانس پیٹھ تہِ واجب۔ یہ کتھ چھنہ کہ توہہ تراووہ تکلیفس اندر تہ پانہ روزہ آزاد۔ یمہ کتھ آسہ سلیم الطبعن ہندہ خاطرہ رغبت تہ شوق دِوہ ونہ ہرگاہ تمن یمو کتھو سیت تہ کینہہ بنہ نہ تیلہِ وینو کھ آخری کتھ کہِ معبودِ برحق چھہ سون مالک تہِ تہند مالک تہ سُہ چھہ سارِنے ہند حاکم سانہِ عملہ چھہ اَسہِ پانس، تہنز ہ عملہ چھہ توہہِ پانس لَا حُجَّةَ بَيْنَنَا وَبَيْنَكُمُ اللَّهُ يَجْمَعُ بَيْنَنَا وَإِلَيْهِ الْمَصِيرُ اَسہِ منز تہ توہہِ منز چھنہ کانہہ بحثے۔ اللہ تعالیٰ یُس اَسہ سارِنے ہُند مالک چھُ سُہ سومبراوہِ اَسہِ سارِنے قیامتس دوہ۔ اَتھ منز چھنہ کانہہ شکھ کہِ تس کُن چھہ اَسہِ سارِنے واتُن۔ سُہ کرِہ سارِنے ہُند فاصلہ عملہِ موجُب۔ وُن کینس توہہ سیت بحث کرُن چھہ فضول مگر تبلیغ روزِ اَس توہہِ کران وَالَّذِينَ يُحَاجُّونَ فِي اللَّهِ مِنْ بَعْدِ مَا اسْتُجِيبَ لَهُ حُجَّتُهُمْ دَاحِضَةٌ عِنْدَ رَبِّهِمْ وَعَلَيْهِمْ غَضَبٌ وَلَهُمْ عَذَابٌ شَدِيدٌ بیہِ یم لوکھ بحث چھہ لاگان خدایہ سندِس دینس اندر مسلمانن سیت یمہِ کتھ پتہ کہِ سُہ دین آو تسلیم کرنہ کیازہ واریاہ عاقل ودانا سپدی مسلمان تمو کور اقرار دینِ اسلامکہِ حق آسنک۔ وونی یم اَمہ پتہ تہ بحث لاگن تہنز دلیل چھہ تہندِس پروردگارس نشہِ بالکل باطل۔ تمن پیٹھ چھہ خدایہ سُند غضب واقع سپدہ وُن۔ تہندی خاطرہ چھہ قیامتس دوہ سخت عذاب سپدہ وُن۔ تمہ عذابہ نشہِ بچنک ذریعہ چھہ اللہ تعالیٰ اَس پڑھ کرن۔ تہند دین پوز زانُن گو و قرآن مجید یتھ منز حقوق اللہ تہ حقوق العباد ویژھ ناوِتھ بیان کرنہٕ آمت چھہِ واجب العمل زانُن کیازہ اللَّهُ الَّذِي أَنْزَلَ الْكِتَابَ بِالْحَقِّ وَالْمِيزَانَ معبودِ برحق گودٕ سی یم پزٕ پاٹھی کتاب نازل کر۔ خصوصاً

لَعَلَّ السَّاعَةَ قَرِيبٌ ﴿١٧﴾ يَسْتَعْجِلُ بِهَا الَّذِينَ لَا يُؤْمِنُونَ بِهَا ۖ وَالَّذِينَ آمَنُوا مُشْفِقُونَ مِنْهَا وَيَعْلَمُونَ أَنَّهَا الْحَقُّ ۗ أَلَا إِنَّ الَّذِينَ يُمَارُونَ فِي السَّاعَةِ لَفِي ضَلَالٍ بَعِيدٍ ﴿١٨﴾ اللَّهُ لَطِيفٌ بِعِبَادِهِ يَرْزُقُ مَنْ يَشَاءُ ۖ وَهُوَ الْقَوِيُّ الْعَزِيزُ ﴿١٩﴾

---

یُس حکم تتھ منز انصافُک چھہ بیہ تر کریمہِ سپت عدل وانصاف کرنہ یوان چھہ وَمَا يُدْرِيكَ لَعَلَّ السَّاعَةَ قَرِيبٌ یِم لوکھ یِم قیامتک واقعات بوزِ تھ توہہِ نشہِ تمکہِ وقتُک تعیین یژھان چھہِ توہہِ کیاہ چھہ تژِ خبر مگر خبر نہ آسنہ سیت یا خبر نہ کرنہ سیت پُھنہ لازِم یوان سو کیاہ آسی نہ بلکہِ چھہ تمُیک وقوع دلیلو سیت ثابت تعیین وقس متعلق چھہ ایژہَن کافی کہ عجب پُھنہ سو قیامت ماسہِ نزدیکھ يَسْتَعْجِلُ بِهَا الَّذِينَ لَا يُؤْمِنُونَ بِهَا یِمن لوکن نہ تژِ پڑھ چھہ تمِ پُھنہ باوجود تمکہِ یقینی تہ نزدیکھ آسکہِ کھوژانی بلکہ چھہِ بطور استہزاء وانکار تمکہِ وقتُک تقاضا کران وَالَّذِينَ آمَنُوا مُشْفِقُونَ مِنْهَا وَيَعْلَمُونَ أَنَّهَا الْحَقُّ یِمو لوگو ایمان اون تمِ چھہِ کھوژان تتھ بیہِ چھہِ اعتقاد تھاوان کہ قیامتُک دوہ چھہ حق تہ پوز أَلَا إِنَّ الَّذِينَ يُمَارُونَ فِي السَّاعَةِ لَفِي ضَلَالٍ بَعِيدٍ وارہ بوزِو کہ بے شک یِم لوکھ قیامتس منکرِ اَستھ ہر تہ قضیہِ چھہِ لاگان تمہِ کِس یتس منز یقیناً چھہِ تمِ زیچھ تہ دورودراز گمراہی اندر مبتلا اللَّهُ لَطِيفٌ بِعِبَادِهِ يَرْزُقُ مَنْ يَشَاءُ وَهُوَ الْقَوِيُّ الْعَزِيزُ یِم منکرِ یِم دنیاچن نازو نعمتن پیٹھ ویٹھان چھہِ تمنے منز بوڈِ تھ چھہِ آخرت نشہِ غافِل تہ بے خبر سپدے مت۔ اَمہِ پتہِ نازو نعمتن اندر آسنہ سیت چھہِ تمِ استدلال کران کہ سون مسلک چھہ پسندیدہ اگر تہِ آسہانہ تتھ سانس مسلکس پیٹھ آسہِ ہا خدا بیزار۔ تیلہ کیازِہ تھاوِہ ہا اَسہِ عیش و آرامس اندر۔ یہِ چھہ تہنز حماقت کیازِہ یہِ پُھنہ رضامندی ہنزہ دلیل بلکہِ چھہ امیک وَجہ اَی زِہ اللَّهُ لَطِيفٌ بِعِبَادِهِ اللہ تعالیٰ چھہ دنیاءس منز سیٹھاہ مہربان پنہ نین بندن پیٹھ۔ عام طوراَمی رحمتِ عامہ سیت چھہ سُہ سارنے روزی عطا کران۔ اگرچہ مصلحتہ موجُب چھہ تتھ منز کمی زیادتی تہِ سپدان يَرْزُقُ مَنْ يَشَاءُ یَس یوت یژھان چھہ تَس چھہ تیوت دِوان۔ مگر نفس رزق چھہ سارنے منز مشترک۔ اَمہِ لُطف فی الدنیا اَندرہ پُھنہ لازم یوان کہ تہُند مسلک کیاہ چھہ خدا ایس پسند۔ تِمن کیا یہِ آخرتس اندرہ تہِ

مَنْ كَانَ يُرِيْدُ حَرْثَ الْاٰخِرَةِ نَزِدْ لَهٗ فِیْ حَرْثِهٖ ۚ وَمَنْ كَانَ يُرِيْدُ حَرْثَ الدُّنْيَا نُؤْتِهٖ مِنْهَا وَمَا لَهٗ فِی الْاٰخِرَةِ مِنْ نَّصِيْبٍ ﴿۲۰﴾ اَمْ لَهُمْ شُرَكٰٓؤُا شَرَعُوْا لَهُمْ مِّنَ الدِّيْنِ مَا لَمْ يَاْذَنْۢ بِهِ اللّٰهُ ۚ وَلَوْلَا كَلِمَةُ الْفَصْلِ لَقُضِیَ بَيْنَهُمْ ۚ وَاِنَّ الظّٰلِمِيْنَ لَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿۲۱﴾ تَرَى الظّٰلِمِيْنَ

---

لطف و مہربانی عطا کرنہ بلکہ آسن تمِ آخرِ تس اندر بوجہ اینکہ تمِ اُس باطِلس پیٹھ کڈرِس عذابس گرفتار دنیاءس اندر۔ تمِ عذابس گرفتار کرن چھنہ کینہہ مشکل کتھاہ کیازِہ وَهُوَ الْقَوِيُّ الْعَزِيْزُ سُہ چھ سیٹھاہ قوتہ وول، سیٹھاہ زبردست تِمن سارِنے خرابَین ہندوجہ چھ دنیاء سیت گژھن۔ لوکن پزِہ نہ دنیاءہ سیت مغرور گژھن بلکہِ پزِہا تِمن آخرت ژھانڈُن تِمن پزِہ وارِہ بوزن کہ مَنْ كَانَ يُرِيْدُ حَرْثَ الْاٰخِرَةِ نَزِدْ لَهٗ فِیْ حَرْثِهٖ وَمَنْ كَانَ يُرِيْدُ حَرْثَ الدُّنْيَا نُؤْتِهٖ مِنْهَا وَمَا لَهٗ فِی الْاٰخِرَةِ مِنْ نَّصِيْبٍ یُس شخصاہ یژھان آسہِ آخرتُک زراعت کُرن یعنی آخرتکہِ ثوابُک طالِب آسہ آخرتہ خاطرہ کرہ رژہ عملہ بامید ثواب اُس دِمو ترقی تَس تہندِس تتھ زراعتس اندر یعنی رژن عملن پیٹھ دِموٲس تَس رُت ثواب۔

بلکہ گرٕوٲسی تتھ ثوابس اندر تِس زیادتی۔ اَکس عملہِ کروس ادنی درجہ دَہہ گنہ ثواب عطا۔ بیہِ یُس اکھاہ یژھان آسہ دنیاءُک زراعت تَس دِموٲسی تہِ اگر اُس یژھو کینہہ تمہِ دنیا، اَندرہ مگر آخرتس اندر آسہِ نہ تس کیُت کانہہ حِصہّ۔ کیازِہ سُہ چھ مشروط ایمانس سیت حاصلِ چھ یُس اکھاہ عمل کرہِ دنیائی مطلب حاصلِ کرنہ خاطرہ تس بیہِ دُنیا عطا کرنہ مگر تتوی یوت اُس یژھو توپتہ چھ سُہ آخرتکہِ ثوابہ نشہِ محروم۔ دین حق کور اللہ تعالیٰ اَن مشروع و مقرّر مگر تمِ لوکھ اگر سُہ دین چھنہ مانان اَمْ لَهُمْ شُرَكٰٓؤُا شَرَعُوْا لَهُمْ مِّنَ الدِّيْنِ مَا لَمْ يَاْذَنْۢ بِهِ اللّٰهُ وَلَوْلَا كَلِمَةُ الْفَصْلِ لَقُضِیَ بَيْنَهُمْ وَاِنَّ الظّٰلِمِيْنَ لَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ کیاہ تمو چھا خدایس شریک ٹھہراوی مت تمو شریکو تہندِہ خاطرہ کانہہ دیناہ مقررہ کورمُت چھ۔ تمُیک اجازت اللہ تعالیٰ اَن تِمن دیتمُت چھ۔ ہرگاہ خدایہِ سندہِ طرفہ اکھ قولِ فیصل مقرر

مُشۡفِقِيۡنَ مِمَّا كَسَبُوۡا وَهُوَ وَاقِعٌۢ بِهِمۡ‌ ؕ وَالَّذِيۡنَ
اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فِىۡ رَوۡضٰتِ الۡجَنّٰتِ‌ ۚ لَهُمۡ مَّا
يَشَآءُوۡنَ عِنۡدَ رَبِّهِمۡ‌ ؕ ذٰلِكَ هُوَ الۡفَضۡلُ الۡكَبِيۡرُ ﴿۲۲﴾
ذٰلِكَ الَّذِىۡ يُبَشِّرُ اللّٰهُ عِبَادَهُ الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ‌ ؕ
قُلْ لَّاۤ اَسۡـئَلُكُمۡ عَلَيۡهِ اَجۡرًا اِلَّا الۡمَوَدَّةَ فِى الۡقُرۡبٰى‌ ؕ وَمَنۡ يَّقۡتَرِفۡ

---

آسهانه ڪرڻه آمُت سُه گوائِ زه اِصل عذاب سَپدهِ تِمن پيٹھ مَرنه پته نته ييهِ هاڈُنيا سے اندر تهند عملی فيصله ڪرنه۔ بيشڪ يمن ظالمن هندهِ خاطره چهه آخرتس اندر دودتله ڈن عذاب تَرَى الظّٰلِمِيۡنَ مُشۡفِقِيۡنَ مِمَّا كَسَبُوۡا وَهُوَ وَاقِعٌۢ بِهِمۡ تِمهِ دوهه وچهوکه توهه تِم نافرمان ته ظالمِ سيٹهاه کهوژان تِموکاميوسبه يمه تِموکرهِ مژه آسَن يلهِ تِمِ تِمن کامين هند عذاب وچهن يُس عذاب تِمن پيٹھ يقيناً سَپدهڈن چهه وَالَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فِىۡ رَوۡضٰتِ الۡجَنّٰتِ‌ لَهُمۡ مَّا يَشَآءُوۡنَ عِنۡدَ رَبِّهِمۡ بيهِ يِموِ لوکو ايمان اون ته رژه عمله کريکھ تِمِ آسَن جنته کين باغن اندر داخِل تهندِه خاطره چهه تهندِس پَروردگارس نِشهِ تهِ سورُے يهِ تِمِ يژهن ذٰلِكَ هُوَ الۡفَضۡلُ الۡكَبِيۡرُ يوہے گووخدليه سند بوڈ فضل، بوڈ انعام۔ اتھ مقابله چھُنه دُنياءُک عيش و عشرت کِہی ذٰلِكَ الَّذِىۡ يُبَشِّرُ اللّٰهُ عِبَادَهُ الَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ يہے گيهِ خوشخبری يوسهِ فرماوان چھُ الله تعالىٰ پنه نين بندن يِموِ ايمان اون ته رژه عمله کريکھ چونکهِ کافرِ اَس مضمون پور بيان کرنه بروٹھے زيوه پيٹھ ژاَنگ تراَو تھ، چونکہ کرِتھ تکذيبه چه کَتھ کران تمی اوتِيتِنس بشارتک مضمون پور بيان کرنه بروٹھے جمله معترِض منز تکذيب کرُن۔ وکنه خاطره سُه مضمون بيان کرنه يِمهِ سيت تهِندی دِل ويگله ہَن۔ نبی کريم صلى الله عليه وسلّمس آوَ حُکم کرنه قُلْ لَّاۤ اَسۡـئَلُكُمۡ عَلَيۡهِ اَجۡرًا اِلَّا الۡمَوَدَّةَ فِى الۡقُرۡبٰى توهه فرماوِ تِمن اے لوکو بوچھُسنه توهِ نشهِ کانهه مَطلباه ژهانڈان توهِ سيت يهِ کَتھ بات کرنس اَندر رِشته داَری هندِه محبته وراَے يعنے يُتے چھُس به توهِ نشهِ ژهانڈهان که ميان ته تهند تعلقاتِ رشته داَری يِم چهه يِم ساَری قريشن سيت وابسته چهِ بلکه تمام عربه کين لوکن

حَسَنَةً نَّزِدْ لَهٗ فِيْهَا حُسْنًا ؕ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ شَكُوْرٌ ﴿۲۳﴾ اَمْ يَقُوْلُوْنَ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا ۚ فَاِنْ يَّشَاِ اللّٰهُ يَخْتِمْ عَلٰى قَلْبِكَ ؕ وَيَمْحُ اللّٰهُ الْبَاطِلَ وَيُحِقُّ الْحَقَّ بِكَلِمٰتِهٖ ؕ اِنَّهٗ عَلِيْمٌ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ ﴿۲۴﴾ وَهُوَ الَّذِيْ يَقْبَلُ التَّوْبَةَ عَنْ عِبَادِهٖ وَيَعْفُوْا عَنِ السَّيِّاٰتِ

سيت پيوستہ چھِہ تمِ دور چھہ يا نزديک تمن تعلقاتن ہندين حقوقن ہُند تھاوِی توٗ تھی خيال۔ تمِ تعلقات چھنہ متقضی يتھ کتھ کہ تہٕ ہيوٗ مياںس مخالفس اندر جلدی کرن۔ بوزنہ برونٹھے شور لاگن بلکہ چھہ تمِ تعلقات منگان کہ نہايت اطمينانہ سان، سودِلہ بوزِو توٗہہ گوڈہ بہ کياہ چھُس توٗہہِ ونان توٗ پتہ توليون سو ميان کتھ عقلہِ ہنزِہ تکرہ اندر توٗ پتہ پرکھاويون وارہ سوکتھ غور و تاملہ سيت ہر گاہ تتھ اندر کانہہ شبہاہ تہٕ اشکالاہ گژھوہ سہٕ کرِو صاف۔ ہر گاہ سو ميان کتھ غلط آسہِ تہٕ تارِو ميہ وارہ فکرہ بو ہر گاہ ڈلتھ آسہ توٗہہ آسيو ميہ سيزِہ وَتہِ پيٹھ غرض يوسہ کتھ آسہِ سو آسن خير خواہی پيٹھ، يہ چھنہ دستور کہ ميہ ديونہ توٗہہ وَنہ نے تہٕ فوراً ہيو توٗہہ شور و غل لاگن۔ آشنائی ہندين تعلقاتن ہر گاہ توٗہہِ نشہِ کانہہ احتراماہ چھہ تيلہ بوز توٗ ميان کتھ يتھ منز تہنٛد خاطرہ سيٹھاہ فائدہ چھہ وَمَنْ يَّقْتَرِفْ حَسَنَةً نَّزِدْ لَهٗ فِيْهَا حُسْنًا ؕ اِنَّ اللّٰهَ غَفُوْرٌ شَكُوْرٌ بيہِ يُس اکھاہ نيکی کرِہ اُس کرو تمن نيکين اندر زيادہ رژرہِ خوبی عطا يعنے اُس دمِوتس زيادہ ثواب۔ بے شک اللہ تعالیٰ چھہ فرماں بردارن ہندين گونہن سيٹھاہ بخشہنار۔ تہنزن نيکين سيٹھاہ قدردان تہٕ رُت ثواب عطا کرہ وُن اَمْ يَقُوْلُوْنَ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا ۚ فَاِنْ يَّشَاِ اللّٰهُ يَخْتِمْ عَلٰى قَلْبِكَ ؕ وَيَمْحُ اللّٰهُ الْبَاطِلَ وَيُحِقُّ الْحَقَّ بِكَلِمٰتِهٖ ؕ اِنَّهٗ عَلِيْمٌ بِذَاتِ الصُّدُوْرِ کياہ يمہ لکھ چھا توٗہہِ نسبت ونان زِہ تمو چھہ يہ قرآن مجيد خدائس پيٹھ اُپز ٹھہرووُمُت نعوذ باللہ يعنے نبو تُک تہٕ وحيک خلافِ واقعہ دعٰو کورمُت۔ اتھ صورتس اندر چھہ خدائس قدرت کہ ہر گاہ سہٕ يژھہِ تہنٛدس دِلس پيٹھ کرِہ سہٕ مُہر۔ بيہ چھہ اللہ تعالیٰ سُنٛد يہ طريقہ / فطرت کہ سہٕ چھہ نہناوان اپز تہٕ پوز چھہ پزراوان غالب تہٕ ثابت پنہ نيو احکامو سيت پزی پاٹھ سہٕ چھہ دلہ چن کھن ہنز تان پور خبر تھاوان وَهُوَ الَّذِيْ يَقْبَلُ التَّوْبَةَ عَنْ عِبَادِهٖ وَيَعْفُوْا عَنِ السَّيِّاٰتِ وَيَعْلَمُ مَا تَفْعَلُوْنَ بيہ چھہ سُی تيتھ رحيم کہ پنہ نين بندن ہُند توبہ چھہ تمہ کيو شرطو سان قبول کران

وَيَعْلَمُ مَا تَفْعَلُوْنَ ﴿٢٥﴾ وَيَسْتَجِيْبُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَيَزِيْدُهُمْ مِّنْ فَضْلِهٖ ۭ وَالْكٰفِرُوْنَ لَهُمْ عَذَابٌ شَدِيْدٌ ﴿٢٦﴾ وَلَوْ بَسَطَ اللّٰهُ الرِّزْقَ لِعِبَادِهٖ لَبَغَوْا فِي الْاَرْضِ وَلٰكِنْ يُّنَزِّلُ بِقَدَرٍ مَّا يَشَاۗءُ ۭ اِنَّهٗ بِعِبَادِهٖ خَبِيْرٌۢ بَصِيْرٌ ﴿٢٧﴾ وَهُوَ الَّذِيْ يُنَزِّلُ الْغَيْثَ مِنْۢ بَعْدِ مَا قَنَطُوْا وَيَنْشُرُ رَحْمَتَهٗ ۭ وَهُوَ الْوَلِيُّ الْحَمِيْدُ ﴿٢٨﴾

---

پَس اگر ڪا نهه ڪافر توبه ڪري مسلمان سَڏِ ه سُه ڇهه ٿهند ايمان اُن قبول ڪران بيهِ ڇهه سُي توبجه برڪته پنه نين بندن هندين گو ٿهن عفو ڪران۔ بيهِ ڇهه سُي تهِ سوءُرے زانان يهِ توهه ڪران ڇهوه تُس ڇهه معلوم ڪهِ ڪُم ڪور توبه نخلوصِ دل ته ڪُم ڪور توبه خلوصه وراۓ وَيَسْتَجِيْبُ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَيَزِيْدُهُمْ مِّنْ فَضْلِهٖ بيهِ ڇهه سُي تِمن لوڪن هندس دُعاءَس اِجابت ڪران يموايمان اون ته رڙه عمله ڪريڪهه۔ بيهِ ڇهه تِمن زياده عطا ڪران پنن فضل وَالْكٰفِرُوْنَ لَهُمْ عَذَابٌ شَدِيْدٌ يم ڪافر ڪُفرس پيٺه اصرار ڪرن اسلام انن نه تِمن هندِ خاطره ڇهه مقرر سخت عذاب۔ الله تعالیٰ سندِه صفتِ رحمتڪ اثر ڇهه ڪه سُه ڇهنه سارنے لوڪن زياده مال عطا ڪران ڪيازهِ وَلَوْ بَسَطَ اللّٰهُ الرِّزْقَ لِعِبَادِهٖ لَبَغَوْا فِي الْاَرْضِ هرگاه الله تعالیٰ پنه نين بندن روزِيس اَندرودُسعت گرهِ وهاتيلهِ ڪره ٿن تمِ زمينس اندر سَرڪشي ته شرارت۔ عام طبيعتن هندِه اعتباره ڇهه لوڪن هنزه پستي ٿند سبب اکه اَڪس ڪُن محتاج آسُن۔ مال دارَن ڇهه ڪامهِ منز مدد حاصلِ ڪرنه خاطره مزورن ته ڪاري گرن ڪُن حاجتھ۔ فقيرن ڇهه پُونسه حاصلِ ڪرنه خاطره مالدارَن ڪُن حاجت۔ يتهے پاٹھ ڇهه دنياءُڪ ڪارخانه پکان وَلٰكِنْ يُّنَزِّلُ بِقَدَرٍ مَّا يَشَاۗءُ ليڪن سُه ڇهه روزي نازِل ڪران تمهِ اندازه موجب يُس سُه يژهان ڇه اِنَّهٗ بِعِبَادِهٖ خَبِيْرٌۢ بَصِيْرٌ بے شڪ سُه ڇهه پنه نين بندن ٿند سوءُرے زانان، سوءُرے وڇهان وَهُوَ الَّذِيْ يُنَزِّلُ الْغَيْثَ مِنْۢ بَعْدِ مَا قَنَطُوْا وَيَنْشُرُ رَحْمَتَهٗ وَهُوَ الْوَلِيُّ الْحَمِيْدُ سُه پروردگار ڇهه ٿيٿهه حڪيم ڪه سُه ڇهه رود تراوان لوڪن هندِه نااُميد گڙهنه پته۔ بيهِ ڇهه سُي پننهِ رحمتڪ آثار عالَمس منز واتناوان يعنے رود پريتھ جايه واتناوان۔ پريتھ جايهِ ڇهه زمينس سرسبز ڪران بيهِ

وَمِنْ اٰیٰتِهٖ خَلْقُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَثَّ فِیْهِمَا مِنْ دَآبَّةٍ ؕ وَهُوَ عَلٰی جَمْعِهِمْ اِذَا یَشَآءُ قَدِیْرٌ ﴿۲۹﴾ وَمَآ اَصَابَكُمْ مِّنْ مُّصِیْبَةٍ فَبِمَا كَسَبَتْ اَیْدِیْكُمْ وَیَعْفُوْا عَنْ كَثِیْرٍ ؕ ﴿۳۰﴾ وَمَآ اَنْتُمْ بِمُعْجِزِیْنَ فِی الْاَرْضِ ۚۖ وَمَا لَكُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ مِنْ وَّلِیٍّ وَّلَا نَصِیْرٍ ﴿۳۱﴾ وَمِنْ اٰیٰتِهِ الْجَوَارِ فِی الْبَحْرِ كَالْاَعْلَامِ ؕ ﴿۳۲﴾ اِنْ یَّشَاْ یُسْكِنِ الرِّیْحَ فَیَظْلَلْنَ رَوَاكِدَ عَلٰی ظَهْرِهٖ ؕ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ لَاٰیٰتٍ لِّكُلِّ صَبَّارٍ

چھ سُی سارِنے ہُند کارساز تتھ کارسازی پیٹھ چھ سُے قابلِ حمد و ثنا وَمِنْ اٰیٰتِهٖ خَلْقُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَثَّ فِیْهِمَا مِنْ دَآبَّةٍ وَهُوَ عَلٰی جَمْعِهِمْ اِذَا یَشَآءُ قَدِیْرٌ بیہِ چھ تہندِ قدرتہ کیو نشانو اَندرہ آسمانَن تہ زمین ہُند پادہ کرُن بیہِ تمِن جاندارن ہُند پیدہ کرُن یِم آسمانَس تہ زمینس منز چھکراوی مت چھن۔ سُی چھ تمِن سارِنے مخلوقاتَن دوبارہ زندہ کرِتھ قیامتک دوہ سومبرَنس تہ جمع کرنس پیٹھ یلہِ سُہ تمِن جمع کرُن یژھِ۔ پور قدرتہ وول۔ وَمَآ اَصَابَكُمْ مِّنْ مُّصِیْبَةٍ فَبِمَا كَسَبَتْ اَیْدِیْكُمْ وَیَعْفُوْا عَنْ كَثِیْرٍ بیہِ چھ سُہ منتقم آسنہِ باوجود عفوتہ درگذر کرہ وُن۔ چنانچہ یُس مصیبتاہ توہہِ واتان چھ اے گنہ گارو سُہ چھ حقیقتاً واتان توہہِ تمو تیچھ عملو سبہ توہہِ یِم پنہ نیو اَتھو کران چھوہ۔ توتہِ چھوہ سُہ واریاہن گونہن عفوے کران وَمَآ اَنْتُمْ بِمُعْجِزِیْنَ فِی الْاَرْضِ وَمَا لَكُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ مِنْ وَّلِیٍّ وَّلَا نَصِیْرٍ بیہِ ہیکیوُن نہ توہہِ زمینہ کُس گُنہِ حصّس منز پناہ حاصل کرِتھ تہ روزِتھ۔ اللہ تعالیٰ عاجز کرِتھ۔ نہ چھ تتھ حالَس اندر تہندِ خاطرہ کانہہ مددگار تہ یاری کرہ وُناہ خدائیس ورأے وَمِنْ اٰیٰتِهِ الْجَوَارِ فِی الْبَحْرِ كَالْاَعْلَامِ بیہِ چھ تہندِ قدرتہ کیو نشانو اَندرہ ناوہ تہ جہاز یِمہ دریاوَن تہ سمندرن منز پکان چھ۔ یِمہ تہندین کوہَن سُمبہِ چھ۔ تمِن بڈین جہازن ہُند سمندرس منز پکُن چھ تہندی قدرتہ سیت اِنْ یَّشَاْ یُسْكِنِ الرِّیْحَ فَیَظْلَلْنَ رَوَاكِدَ عَلٰی ظَهْرِهٖ ہرگاہ سُہ یژھِ واوس ٹھہراوِ تمہ ناوہ تہ جہاز یِمہ واوہ سیت پکان چھ۔ تمہ گژھن روزِتھ اچِہ تھر پیٹھ یعنے سمندرہ کس سطحس پیٹھ۔ یہِ چھ تہنزے کام کہِ واوس چھ پکہ ناوان۔ تمہِ سیت

شَكُوۡرٍۙ ﴿۳۳﴾ اَوۡ يُوۡبِقۡهُنَّ بِمَا كَسَبُوۡا وَيَعۡفُ عَنۡ كَثِيۡرٍ ﴿۳۴﴾ وَّيَعۡلَمَ الَّذِيۡنَ يُجَادِلُوۡنَ فِىۡۤ اٰيٰتِنَا ؕ مَا لَهُمۡ مِّنۡ مَّحِيۡصٍ ﴿۳۵﴾ فَمَاۤ اُوۡتِيۡتُمۡ مِّنۡ شَىۡءٍ فَمَتَاعُ الۡحَيٰوةِ الدُّنۡيَا ۚ وَمَا عِنۡدَ اللّٰهِ خَيۡرٌ وَّاَبۡقٰى لِلَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَلٰى رَبِّهِمۡ يَتَوَكَّلُوۡنَ ۚ ﴿۳۶﴾ وَالَّذِيۡنَ يَجۡتَنِبُوۡنَ كَبٰٓئِرَ الۡاِثۡمِ وَالۡفَوَاحِشَ وَاِذَا مَا غَضِبُوۡا هُمۡ يَغۡفِرُوۡنَ ۚ ﴿۳۷﴾

---

چھِ جہازتہٕ پکان اِنَّ فِیۡ ذٰلِكَ لَاٰیٰتٍ لِّكُلِّ صَبَّارٍ شَكُوۡرٍ بے شک اتھ منز چھِ واریاہ قدرتک نشانہٕ۔ پرِیتھ سیٹھاہ صبر کرن وٲلِس تہٕ شکر دِنہٕ وٲلِس خاطرہ۔ یعنے باایمانن ہندِ خاطرہ اَوۡ يُوۡبِقۡهُنَّ بِمَا كَسَبُوۡا وَيَعۡفُ عَنۡ كَثِيۡرٍ یاہرگاہ سُہ یژھِ سخت تیزواوتراوہ تِمن جہازن اندر سارِنے سوارن گالِہ تہنزٕ یچھ عملو سببہٕ۔ یعنے پھاٹہٕ وکھ دریاوَس اندر۔ واریاہن لُوکن گرہِ درگُذر یعنی تِمن پھاٹوہِ نہٕ تمہِ ساتہٕ مگر آخرتس اندر ییہٕ تِمن عذاب کرنہٕ۔ وَّيَعۡلَمَ الَّذِيۡنَ يُجَادِلُوۡنَ فِىۡۤ اٰيٰتِنَا مَا لَهُمۡ مِّنۡ مَّحِيۡصٍ اَمہِ تباہی ہندِ وَقتہٕ تگہِ زانُن تِمن لوکن یِم کج بحثی چھِ کران سانین آیاتن اندر کہِ تہندِ خاطرہ چھُنہٕ کانہہ ژلُن جایہ سانہِ عذابہ نشہِ بچنہٕ خاطرہ فَمَاۤ اُوۡتِيۡتُمۡ مِّنۡ شَىۡءٍ فَمَتَاعُ الۡحَيٰوةِ الدُّنۡيَا وَمَا عِنۡدَ اللّٰهِ خَيۡرٌ وَّاَبۡقٰى اَمہِ اَندرہٕ سُپد معلوم کہٕ مطلوب بناوُنس قابلِ چھُنہٕ دُنیا بلکہ چھُ آخرت مطلوب مقدس بناوُنس قابل۔ وون ییہ کینژھاہ دنیاء کیو چیزو اَندرہ توہہِ عطا کرنہٕ آوَتہٕ چھُ محض چند روزہ دنیاء کہ زندگی ہُندہ اکھ تمتع تُلنک چیز اہ یُس عُمر ختم گژھنس پیٹھ ختم گژھِ۔ بیاکھ گو ییہِ کینژھا اللہ تعالیٰ اَس نشہِ تہندِ خاطرہ چھُ تہٕ پچھُ رُت تہٕ پوشہِ وُن۔ لہٰذا گژھِ دنیا طلبی تراوِتھ آخرتُک طالب سپدُن۔ مگر سُہ سپدِ حاصلِ ایمان واعمالِ صالحو سیت بیہِ شرک وکفرہ نشہِ پتھ روزنہ سیت چنانچہ سُہ ثوابِ مذکور چھُ لِلَّذِيۡنَ اٰمَنُوۡا وَعَلٰى رَبِّهِمۡ يَتَوَكَّلُوۡنَ تہندِ خاطرہ یِمو ایمان اون۔ بیہِ کورُکھ پننہٕ نِس پروردگارس پیٹھ اعتماد تہٕ بھروسہ وَالَّذِيۡنَ يَجۡتَنِبُوۡنَ كَبٰٓئِرَ الۡاِثۡمِ وَالۡفَوَاحِشَ وَاِذَا مَا غَضِبُوۡا هُمۡ يَغۡفِرُوۡنَ بیہِ یِم لوکھ بڑو گناہو نشہٕ بچتھ چھہ روزان بیہِ یچھ کامو نشہ بیہِ یِم ژکھ کھستھ ژکھ کھارہ ونین معافی دِوان چھ وَالَّذِيۡنَ اسۡتَجَابُوۡا لِرَبِّهِمۡ

وَالَّذِيْنَ اسْتَجَابُوْا لِرَبِّهِمْ وَاَقَامُوا الصَّلٰوةَ ۖ وَاَمْرُهُمْ شُوْرٰى بَيْنَهُمْ ۖ وَمِمَّا رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ ﴿٣٨﴾ وَالَّذِيْنَ اِذَآ اَصَابَهُمُ الْبَغْيُ هُمْ يَنْتَصِرُوْنَ ﴿٣٩﴾ وَجَزٰٓؤُا سَيِّئَةٍ سَيِّئَةٌ مِّثْلُهَا ۚ فَمَنْ عَفَا وَاَصْلَحَ فَاَجْرُهٗ عَلَى اللّٰهِ ۭ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٤٠﴾ وَلَمَنِ انْتَصَرَ بَعْدَ ظُلْمِهٖ فَاُولٰٓئِكَ مَا عَلَيْهِمْ مِّنْ سَبِيْلٍ ﴿٤١﴾ اِنَّمَا السَّبِيْلُ عَلَى الَّذِيْنَ يَظْلِمُوْنَ النَّاسَ وَيَبْغُوْنَ فِي الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ ۭ اُولٰٓئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ

---

وَاَقَامُوا الصَّلٰوةَ بيهِ تِمو حکم مون پنہ نِس پروردگارہ سُند بیہِ تھاو کہ نماز قایم پابندی سان..........
وَاَمْرُهُمْ شُوْرٰى بَيْنَهُمْ وَمِمَّا رَزَقْنٰهُمْ يُنْفِقُوْنَ بیہِ آسہِ تھنزہ پر یتھ کاماہ یتھ منزنہ شرعی حکماہ بیان آسہِ کرنہ آمُت پانہ وانی مشورہ کرِ تھ پورہ سپدان۔ بیہِ آسَن تم تمہِ مالہ منزہ یُس اسی عطا کورُکھ خرچ کران
وَالَّذِيْنَ اِذَآ اَصَابَهُمُ الْبَغْيُ هُمْ يَنْتَصِرُوْنَ بیہِ تمِ لوکھ یمن پیٹھ یمہِ ساتہ کانسہِ ہندہِ طرفہ ظلم کرنہ آسہِ یوان، تمِ اگر بدلہ آسَن ہیوان سُہ آسَن برابر برابر ہیوان۔ زیادتی آسَن نہ کران۔ بدلہ ہینک اِجازت چھہ اسی تمِن دیُتمُت کہ وَجَزٰٓؤُا سَيِّئَةٍ سَيِّئَةٌ مِّثْلُهَا بدی ہُند سزا چھہ بدی تتھ ہِش فَمَنْ عَفَا وَاَصْلَحَ فَاَجْرُهٗ عَلَى اللّٰهِ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الظّٰلِمِيْنَ تمہِ پتہ یعنے انتقامُک اجازت دِنہ پتہ یُس اکھاہ معاف کرہِ ظالمس بیہ کرہِ معاملس منز اصلاح یمہِ سیت دشمنی دور سپدِہ دوستی پادہ سپدِہ تمیک ثواب چھہ حسبِ وعدہ اللہ تعالیٰ اَس مٹہِ۔ واقعی اللہ تعالیٰ چھُنہ پسند کران ظالمن۔ وَلَمَنِ انْتَصَرَ بَعْدَ ظُلْمِهٖ فَاُولٰٓئِكَ مَا عَلَيْهِمْ مِّنْ سَبِيْلٍ دون یم لوکھ بدلہ تہ انتقام ہین ظالمن نشہِ تھندہِ ظلم کرنہ پتہ پَس چھُنہ تمِن لوکن پیٹھ کانہہ الزاماہ تہ بازخواستاہ اِنَّمَا السَّبِيْلُ عَلَى الَّذِيْنَ يَظْلِمُوْنَ النَّاسَ وَيَبْغُوْنَ فِي الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ بلکہ چھہ بازخواست تہ الزام تمِن لوکن پیٹھ یم ناحق لوکن ظلم کران آسَن۔ بیہِ آسَن

اَلِیۡمٌ ﴿۴۲﴾ وَلَمَنۡ صَبَرَ وَغَفَرَ اِنَّ ذٰلِكَ لَمِنۡ عَزۡمِ الۡاُمُوۡرِ ﴿۴۳﴾
وَمَنۡ یُّضۡلِلِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنۡ وَّلِیٍّ مِّنۡۢ بَعۡدِهٖ ؕ وَتَرَى الظّٰلِمِیۡنَ
لَمَّا رَاَوُا الۡعَذَابَ یَقُوۡلُوۡنَ هَلۡ اِلٰی مَرَدٍّ مِّنۡ سَبِیۡلٍ ﴿۴۴﴾ وَتَرٰهُمۡ
یُعۡرَضُوۡنَ عَلَیۡهَا خٰشِعِیۡنَ مِنَ الذُّلِّ یَنۡظُرُوۡنَ مِنۡ طَرۡفٍ خَفِیٍّ ؕ
وَقَالَ الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡۤا اِنَّ الۡخٰسِرِیۡنَ الَّذِیۡنَ خَسِرُوۡۤا اَنۡفُسَهُمۡ وَاَهۡلِیۡهِمۡ
یَوۡمَ الۡقِیٰمَةِ ؕ اَلَاۤ اِنَّ الظّٰلِمِیۡنَ فِیۡ عَذَابٍ مُّقِیۡمٍ ﴿۴۵﴾ وَمَا کَانَ لَهُمۡ

---

سر کشی تہ بغاوت کران زمینس منز ناحق اُولٰٓئِكَ لَهُمۡ عَذَابٌ اَلِیۡمٌ تیھین لوکن ہندِ خاطرہ چھہ مقرر عذاباہ دَگ تہ دود تلہ ڈن وَلَمَنۡ صَبَرَ وَغَفَرَ اِنَّ ذٰلِكَ لَمِنۡ عَزۡمِ الۡاُمُوۡرِ بے شک یُس شخص کانسہِ ہندس ظلمس پتھ صبر کرِ، انتقامس دَرپے روزِ نہ عفوتہ درگذر کرِ بے شک صبر تہ درگذر کرُن چھہ بڈہ ہمتہ چو کامیو اندرہ یعنے عفوتہ درگذر کرُن چھہ سیٹھاہ بہتر۔ وَمَنۡ یُّضۡلِلِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنۡ وَّلِیٍّ مِّنۡۢ بَعۡدِهٖ ییہِ اوس اوت تان حال مہتدین ہُند وونِ چھہ اَمہِ پتہ ضالینن ہُند حال بیان کرنہ یوان یُس اللہ تعالیٰ وَتھ راوہِ راوہِ تس چھنہ دنیاء س منز تس پتہ کانہہ چارہ سازا تہ مددگار اہ یُس تس وَتہ پیٹھ انہِ ہا۔ قیامتس اندرتہ آسہِ تس سیٹھاہ ییچھ حال وَتَرَى الظّٰلِمِیۡنَ لَمَّا رَاَوُا الۡعَذَابَ یَقُوۡلُوۡنَ هَلۡ اِلٰی مَرَدٍّ مِّنۡ سَبِیۡلٍ وچھوکھ تہہٕ تم ظالم تہ کافر یلہِ تمِ عذاب وچھن قیامتُک دوہ۔ دپنہِ لگن نہایت حسرتہ سان کیاہ سانہ دنیاء س کُن واپس گژھہ نچ چھنا کانہہ صورتھاہ تہ کرہ ہوا سِ تعمیل احکام تہ نیک بنہ ہو وَتَرٰهُمۡ یُعۡرَضُوۡنَ عَلَیۡهَا خٰشِعِیۡنَ مِنَ الذُّلِّ یَنۡظُرُوۡنَ مِنۡ طَرۡفٍ خَفِیٍّ بیہِ چھُوکھ تہہٕ تم تمہِ ساتہ یلہِ یم نارِ جہنمس برونٹھ کُن انہ ین کلہ بون کُن تراوِتھ آسن خجالت ور سوائی ہندِ سببہِ وچھان آسن نارِ جہنمس کُن اچھِ بون کُن تراوِتھ تلی ٹارہِ وَقَالَ الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡۤا اِنَّ الۡخٰسِرِیۡنَ الَّذِیۡنَ خَسِرُوۡۤا اَنۡفُسَهُمۡ وَاَهۡلِیۡهِمۡ یَوۡمَ الۡقِیٰمَةِ تمہِ ساتہ دپن باایمان پنہ نس بچہِ نس پیٹھ شکر دپنہ خاطرہ کہ بیشک تاوان زدگئے تمے یمو نافرمانیو سیت تاوَن ییو وپنہ نین پانن پنہ نین شرین باژن از قیامتُک دوہ اَلَاۤ اِنَّ الظّٰلِمِیۡنَ فِیۡ عَذَابٍ مُّقِیۡمٍ وارہ بوزو

مِّنْ اَوْلِیَآءَ یَنْصُرُوْنَهُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ ؕ وَمَنْ یُّضْلِلِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنْ سَبِیْلٍ ﴿۴۶﴾ اِسْتَجِیْبُوْا لِرَبِّكُمْ مِّنْ قَبْلِ اَنْ یَّاْتِیَ یَوْمٌ لَّا مَرَدَّ لَهٗ مِنَ اللّٰهِ ؕ مَا لَكُمْ مِّنْ مَّلْجَاٍ یَّوْمَىِٕذٍ وَّمَا لَكُمْ مِّنْ نَّكِیْرٍ ﴿۴۷﴾ فَاِنْ اَعْرَضُوْا فَمَاۤ اَرْسَلْنٰكَ عَلَیْهِمْ حَفِیْظًا ؕ اِنْ عَلَیْكَ اِلَّا الْبَلٰغُ ؕ وَاِنَّاۤ اِذَاۤ اَذَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنَّا رَحْمَةً فَرِحَ بِهَا ۚ وَاِنْ تُصِبْهُمْ سَیِّئَةٌۢ بِمَا قَدَّمَتْ اَیْدِیْهِمْ فَاِنَّ الْاِنْسَانَ كَفُوْرٌ ﴿۴۸﴾ لِلّٰهِ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ

---

یاد تھاوو کہ ظالم یعنی کافر تہٕ نافرمان لوکھ آسن دائمی عذابس اندر گرفتار وَمَا كَانَ لَهُمْ مِّنْ اَوْلِیَآءَ یَنْصُرُوْنَهُمْ مِّنْ دُوْنِ اللّٰهِ بیہ آسہِ نہٕ تِمن ہِتہِ کانْہہ مدد گاراہ یُس تِمن مدد تہٕ یاری کرِتھ ہیکہِ ہا خدایس ورائے وَمَنْ یُّضْلِلِ اللّٰهُ فَمَا لَهٗ مِنْ سَبِیْلٍ بیہ یَس خداوَتھ راوِرہ تَس چھنہٕ نجاتچ کانْہہ وَتھ اِسْتَجِیْبُوْا لِرَبِّكُمْ مِّنْ قَبْلِ اَنْ یَّاْتِیَ یَوْمٌ لَّا مَرَدَّ لَهٗ مِنَ اللّٰهِ ای لوکو حکم مانو پنہٕ نِس پروردگار سُند ۔ ایمان اَنو فرمانبرداری کرِوسہٕ دوہِ ینہٕ برونٹھ یتھ دوہس پتھ نیرہ نچ صورتھے چھنہٕ خدایہ سندہِ طرفہ مَا لَكُمْ مِّنْ مَّلْجَاٍ یَّوْمَىِٕذٍ وَّمَا لَكُمْ مِّنْ نَّكِیْرٍ آسہِ نہٕ تمہِ دوہہِ کانْہہ چھُپن جایاہ نہٕ آسہِ تمہِ دوہہِ تُہندہِ خاطرہ خدایس کانْہہ بازخواست کرہ وُناہ۔ نہٕ آسہِ توہہِ یَب تہٕ انکار کرہ نچ صورتھ فَاِنْ اَعْرَضُوْا فَمَاۤ اَرْسَلْنٰكَ عَلَیْهِمْ حَفِیْظًا اِنْ عَلَیْكَ اِلَّا الْبَلٰغُ اے پیغمبر برحق تہٕ بوزہ ناویو کھ تمِ پس ہرگاہ تمِ لوکھ یہ بوزِتھ تہٕ بُتھے پھِرن تہٕ ایمان اَنن نہٕ ادہ تُہی مہ روزِو غمس تہِ فکرہ اندرہ اَسہِ چھوہ نہٕ سوزمت تُہہٕ تُہند شکھدرتہٕ راچھ ییچھ کامیو نشہِ کیار ٹیو کھ تُہہٕ زورہ پتھ۔ توہہٕ چھنہٕ مَٹہ مگر سون حکم واتناوُن یُس تُہہٕ باحسن وجہ انجام دوان چھِوہ۔ یُہندہ خدایس نشہِ اعراض کرہ نُک وَجہ چھُہ کہ تِمن چھنہٕ خدایس سیت مکمل تعلق تہٕ چھُہ یتھ پاٹھ نَنان کہ وَاِنَّاۤ اِذَاۤ اَذَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنَّا رَحْمَةً فَرِحَ بِهَا آس یلہِ یتھِن انسانن چھہِ پننہِ رحمتُک مزہ ژھناوان تمہِ ساتہٕ چھُہ سُہ ژیزگان تمہِ نعمتہ سیت۔ ویژان چھنہٕ کُنہٕ مگر منعمس پیٹھ نظرکرِتھ چھنہٕ تَس شکرو ثنا دیان وَاِنْ تُصِبْهُمْ سَیِّئَةٌۢ بِمَا قَدَّمَتْ اَیْدِیْهِمْ فَاِنَّ الْاِنْسَانَ كَفُوْرٌ تو پتہٕ یلہِ تمن اِنسانن کانْہہ سختیاہ تہٕ

يَخْلُقُ مَا يَشَآءُ ۭ يَهَبُ لِمَنْ يَّشَآءُ اِنَاثًا وَّيَهَبُ لِمَنْ يَّشَآءُ الذُّكُوْرَ ﴿۴۹﴾

اَوْ يُزَوِّجُهُمْ ذُكْرَانًا وَّاِنَاثًا ۚ وَيَجْعَلُ مَنْ يَّشَآءُ عَقِيْمًا ۭ اِنَّهٗ عَلِيْمٌ

قَدِيْرٌ ﴿۵۰﴾ وَمَا كَانَ لِبَشَرٍ اَنْ يُّكَلِّمَهُ اللّٰهُ اِلَّا وَحْيًا اَوْ مِنْ وَّرَآئِ

حِجَابٍ اَوْ يُرْسِلَ رَسُوْلًا فَيُوْحِيَ بِاِذْنِهٖ مَا يَشَآءُ ۭ اِنَّهٗ عَلِيٌّ حَكِيْمٌ ﴿۵۱﴾

وَكَذٰلِكَ اَوْحَيْنَآ اِلَيْكَ رُوْحًا مِّنْ اَمْرِنَا ۭ مَا كُنْتَ تَدْرِيْ مَا الْكِتٰبُ

---

تڪليفاه واتنان ڇو تمو پڇو ڪاميو سبب تمہ تمو پنه نيو اٺو ڪرهِ مڙه آسان ڇو تمہ ساتہ ڇوهِ خدايه سنز شڪايت تہ گراو ڪران بے شڪ انسان ڇو سيٺاه احسان فراموش تہ ناشڪرگذار لِلّٰهِ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ خدايه سنزے ڇو پادشهت آسمانَ تہِ زمينَ هنز يَخْلُقُ مَا يَشَآءُ پاده ڇو ڪران يه يڙهان ڇو يَهَبُ لِمَنْ يَّشَآءُ اِنَاثًا وَّيَهَبُ لِمَنْ يَّشَآءُ الذُّكُوْرَ دِوان ڇو تمن يڙهان ڇو ڪورهِ بيه ڇو دِوان تمن يڙهان ڇو گبر اَوْ يُزَوِّجُهُمْ ذُكْرَانًا وَّاِنَاثًا يا ڇو تمن عطا ڪران نچوتہِ ڪورهِتہ۔ وَيَجْعَلُ مَنْ يَّشَآءُ عَقِيْمًا بيه ڇو ڪران تمن يڙهان ڇو هانٺھ يعنے بے اولاد، اولادن نشهِ محروم اِنَّهٗ عَلِيْمٌ قَدِيْرٌ بے شڪ سُہ ڇو سوُرے زانڙن۔ پورقدرتہ وول وَمَا كَانَ لِبَشَرٍ اَنْ يُّكَلِّمَهُ اللّٰهُ اِلَّا وَحْيًا اَوْ مِنْ وَّرَآئِ حِجَابٍ بيه ڇهنه ڪانهه انسان يه جسمِ عنصري ٿاوِتھ موجوده قوتن هندهِ اعتباره يه طاقتھ ٿاوان ڪه دنياءس منز ڪياه ڪرهِ تس برونٺھ ڪنهِ الله تعالىٰ تس سيت ڪلام۔ مگر ڇو يه ممڪن تمو تريَو صور توَاندره اڪهِ صورتہ يابلاواسطه بلاحجاب بطريق الهام ڪانسهِ هندِس دِلس منز واتہ ناوان ڪانهه رڙ ڪٿاه بيداري منز ياخوابس منز۔ يابلاواسطه مگر پرده تل اَوْ يُرْسِلَ رَسُوْلًا فَيُوْحِيَ بِاِذْنِهٖ مَا يَشَآءُ يا ڇو سوزان ڪانسهِ پيغام واتناوه نُس سُي ڇو واتناوان خدايه سندِه حڪمه تمہِ ڪٿھ يمه سُہ يڙهان ڇوِ ڪانسهِ بنده خاص نشهِ اِنَّهٗ عَلِيٌّ حَكِيْمٌ بے شڪ سُہ ڇو سيٺاه عاليشان تہ سيٺاه ٿھود، سيٺاه حڪمتہ وول وَكَذٰلِكَ اَوْحَيْنَآ اِلَيْكَ رُوْحًا مِّنْ اَمْرِنَا يتهِ پاٺھ سوزاسهِ توههِ ڪُن يارسول الله ڪلاماه يعني قرآنِ مجيد پننه طرفه۔ بيهِ بناوِ وه اسهِ تهہ پيغمبر خاص لوڪن بلڪهِ خاص الخاص لوڪن سيت۔ سانه ڪلام ڪرنچهِ صورڙ ڇو تيمِ ترهِ صورڙ۔ يلهِ توههِ سيت باوجودِ صلاحيت يوهے

وَلَا الْاِیْمَانُ وَلٰکِنْ جَعَلْنٰهُ نُوْرًا نَّهْدِیْ بِهٖ مَنْ نَّشَآءُ مِنْ عِبَادِنَا ؕ وَاِنَّكَ لَتَهْدِیْۤ اِلٰی صِرَاطٍ مُّسْتَقِیْمٍ ۙ﴿۵۲﴾ صِرَاطِ اللّٰهِ الَّذِیْ لَهٗ مَا فِی السَّمٰوٰتِ وَمَا فِی الْاَرْضِ ؕ اَلَاۤ اِلَی اللّٰهِ تَصِیْرُ الْاُمُوْرُ ﴿۵۳﴾ ع

سِلسلہِ جاری پھٕ باقی عام لوکن سیت کتھ پاٹھ گرٕ وٲس نہٕ وانہ بطریق مشافہہ و معاینہ کلام۔ یتھے پاٹھ وَحی سوز نہٕ سیت سپدے توہہِ بے مِثل علوم حاصلِ ورنہ مَاكُنْتَ تَدْرِیْ مَا الْكِتٰبُ وَلَا الْاِیْمَانُ وَلٰكِنْ جَعَلْنٰهُ نُوْرًا نَّهْدِیْ بِهٖ مَنْ نَّشَآءُ مِنْ عِبَادِنَا لیکن اَسہِ کور توہہِ عطا نبوت و قرآن۔ یہ قرآنِ مجید کور اَسہِ اوّل تُہندِ ہ خاطرہ دوم توہہِ ورای بین لوکن ہندِ ہ خاطرہ اکھ نور اہ۔ یمہِ سیت اَسِ وتھ پھٕہِ ہاوان تمن تمن ہُند اَسِ یرٔھان پھٕہِ پنہ نیو بندٕ واندرہ علوم واعمالن کُن وَاِنَّكَ لَتَهْدِیْۤ اِلٰی صِرَاطٍ مُّسْتَقِیْمٍ تہٕ تہٕ پھٕوہ بیشک اَمہِ قرآن مجیدہ سیت وَتھ ہاوان عام لوکن راہِ راستس کُن صِرَاطِ اللّٰهِ الَّذِیْ لَهٗ مَا فِی السَّمٰوٰتِ وَمَا فِی الْاَرْضِ تَس خدایہ سنزہ وتہٕ کُن یُسند تہٕ سورُے پھٕہ یہ آسمانٕ تہٕ زمین منز پھٕ اَلَاۤ اِلَی اللّٰهِ تَصِیْرُ الْاُمُوْرُ اے لوکو وارہ بوزِ وکھہِ سارِنے کامین ہُند انجام تہٕ مرجع پھٕ اللہ تعالیٰ سٕہ دِیہ سارِنے عملن، یتھ یہِ شو بہِ، موزور۔



## سُوْرَةُ الزُّخْرُف

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

حٰمٓ ﴿١﴾ وَالْكِتٰبِ الْمُبِيْنِ ﴿٢﴾ اِنَّا جَعَلْنٰهُ قُرْءٰنًا عَرَبِيًّا لَّعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ ﴿٣﴾ وَاِنَّهٗ فِيْٓ اُمِّ الْكِتٰبِ لَدَيْنَا لَعَلِيٌّ حَكِيْمٌ ﴿٤﴾ اَفَنَضْرِبُ عَنْكُمُ الذِّكْرَ صَفْحًا اَنْ كُنْتُمْ قَوْمًا مُّسْرِفِيْنَ ﴿٥﴾ وَكَمْ اَرْسَلْنَا مِنْ نَّبِيٍّ فِي الْاَوَّلِيْنَ ﴿٦﴾ وَمَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ نَّبِيٍّ اِلَّا كَانُوْا بِهٖ

---

حٰمٓ یم چھِ حروفِ مقطعات یمن ہُند معنی زانہِ پانہ اللہ تعالیٰ وَالْكِتٰبِ الْمُبِيْنِ قسم چھُہ یمہِ قرآن مجیدُک یمک معنی بالکل واضح چھِ اِنَّا جَعَلْنٰهُ قُرْءٰنًا عَرَبِيًّا لَّعَلَّكُمْ تَعْقِلُوْنَ اَسہِ کر یہِ کتاب عربی پاٹھ قرآن۔ یُتھ توہہِ اے عربہ کیولو کو باسانی فکرہِ ترِہ۔ تہُندہِ واسطہ پھِچھن ساری دُنیاء کی اقوام یہِ مقدس کتاب وَاِنَّهٗ فِيْٓ اُمِّ الْكِتٰبِ لَدَيْنَا لَعَلِيٌّ حَكِيْمٌ بیشک یہ قرآنِ مجید چھُہ لوحِ محفوظس اندر اَسہِ نشہِ وجوہِ اعجاز اسرار عظیمن مشتمل آسنہ موکھ سیٹھاہ تھدِس مرتبس اندر تبدیل و تحریفہ نشہِ محفوظ آسنہ موکھ سیٹھاہ محکم تہٕ مضبوط۔ اَمکِ احکام چھِ ساری مبنی بر حکمت۔ اَمکِ مضامین چھِ اصلاح معاش و معادہ خاطرہ اعلیٰ ترین ہدایاتن پیٹھ مشتمل لوحِ محفوظس اندر چھُہ یہِ قرآنِ مجید سارِنئے آسمانی کتابَن پیٹھ کنہِ لیکھنہ آمُت۔ یژھ جلیل القدر کتاب گژھِ ضرور مانِن۔ لیکن اگر تہٕ مانُونہ توتہٕ چھِہ اَسِ یہ کتاب توہہِ بوزناونہ خاطرہ ضرور نازِل کرن۔ تہٕ مانِ تو یامتہ مانَن تو اَفَنَضْرِبُ عَنْكُمُ الذِّكْرَ صَفْحًا اَنْ كُنْتُمْ قَوْمًا مُّسْرِفِيْنَ اَے منکرو کیاہ توہہِ چھا خیال کہِ اَسِ رٹون یہِ نصیحت نامہ قرآنِ مجید توہہِ نشہِ پتھ یمہِ کتھِ موکھ کہِ تہٕ کیاہ چھُوہ حدہ روستے نافرمانی کرہِ وَن امہِ خیالہ نشہِ نیرو وَكَمْ اَرْسَلْنَا مِنْ نَّبِيٍّ فِي الْاَوَّلِيْنَ اَسہِ سوز کاتیاہ پیغمبر برونٹھِمین لوکن منز۔ تہُندہِ اِنکار تکذیبہ کہ باوجود یہِ کورنہ اَسہِ کہِ تہندہِ تکذیبہ موکھ گرہ ہو اُس پیغمبر سوزنُک سِلسلہ بند۔ یتھہ پاٹھ اَسہِ تہندِہ تکذیب کرہ نُک

يَسْتَهْزِءُوْنَ ۝٧ فَاَهْلَكْنَآ اَشَدَّ مِنْهُمْ بَطْشًا وَّمَضٰى مَثَلُ
الْاَوَّلِيْنَ ۝٨ وَلَئِنْ سَاَلْتَهُمْ مَّنْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ لَيَقُوْلُنَّ
خَلَقَهُنَّ الْعَزِيْزُ الْعَلِيْمُ ۝٩ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ مَهْدًا وَّ
جَعَلَ لَكُمْ فِيْهَا سُبُلًا لَّعَلَّكُمْ تَهْتَدُوْنَ ۝١٠ وَالَّذِيْ نَزَّلَ مِنَ
السَّمَآءِ مَآءًۢ بِقَدَرٍ ۚ فَاَنْشَرْنَا بِهٖ بَلْدَةً مَّيْتًا ۚ كَذٰلِكَ تُخْرَجُوْنَ ۝١١
وَالَّذِيْ خَلَقَ الْاَزْوَاجَ كُلَّهَا وَجَعَلَ لَكُمْ مِّنَ الْفُلْكِ وَالْاَنْعَامِ

---

ڪا نه پَرواڪو رنه ڪَٿي پاڻ مه ڪرِ ڏٺهہ ته ڪا نه پَرواته غم ڪياڙهِ تمن بر ونڻ تم لوکهہ اُس تهند حال ته اوس ڪٿي وَمَا يَاْتِيْهِمْ مِّنْ نَّبِيٍّ اِلَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ تمن لُوکن نشهِ اوس نه واتان ڪا نه پيغمبر اه ڀس نه تم ٺٺه اُسِ ڪران فَاَهْلَكْنَآ اَشَدَّ مِنْهُمْ بَطْشًا وَّمَضٰى مَثَلُ الْاَوَّلِيْنَ پَس گالِ اَسهِ تمِ لوکهہ تم اَز ڪين ڪافرن هندِ ه خوته زياده طاقتور آسِ۔ چنانچه تمن برو نٿمين لُوکن هندِ ه تباه و برباد گرٿهه نک واقعات آي بيان ڪرنه آياتِ ڪريمن اَندر۔ يهِ تهُند حال سپُدتي سپدِ ه ازي مُنڪرِن هُند حال ته وَلَئِنْ سَاَلْتَهُمْ مَّنْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ لَيَقُوْلُنَّ خَلَقَهُنَّ الْعَزِيْزُ الْعَلِيْمُ بيهِ هرگاه تهہ تمن لوکن پرِ ژهوزهِ آسمان تهِ زمين ڪم ڪور پاده ضرور وَنن تمِ که پاده ڪر تمِ تمي خداين يُس سيٺهاه زبردست، سورُي زانه ڈن چهه الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ مَهْدًا وَّجَعَلَ لَكُمْ فِيْهَا سُبُلًا لَّعَلَّكُمْ تَهْتَدُوْنَ يمي خداين تهندِ ه خاطره زمين ڪور فرشاه يَٿهہ پيٺهہ ته آرام چهوه ڪران بيهِ ڪران تهُندِ ه اوره يور ڦيرنه خاطره، منزلِ مقصودس تانِ واتنه خاطره تهہ منزدَتهِ يُٿهہ تهہ تموو تو پڪٿهہ مطلبس ته مقصدس واتان آسوِ وَالَّذِيْ نَزَّلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءًۢ بِقَدَرٍ بيهِ تم خداين تروو آسمانڪهِ طرفه روداه اندازه ڪرِ تهہ حسبِ مشيت وَحڪمت فَاَنْشَرْنَا بِهٖ بَلْدَةً مَّيْتًا پَس ڪور اَسهِ تمي روده سيت زنده مومت زمين كَذٰلِكَ تُخْرَجُوْنَ ڪَٿي پاڻ ڪياه يِيو قبرَو اَندره تهہ ته بيهِ زنده ڪرِ تهہ نيبر ڪڈنه قيامتک دوه وَالَّذِيْ خَلَقَ الْاَزْوَاجَ كُلَّهَا بيهِ يمي خداين پاده ڪر مختلف قسمکِ چيز وَجَعَلَ لَكُمْ مِّنَ الْفُلْكِ وَالْاَنْعَامِ مَا تَرْكَبُوْنَ بيهِ تهندِ ه خاطره ناوه ته جهاز بيهِ چارپاياده

مَا تَرْكَبُوْنَ ﴿١٢﴾ لِتَسْتَوٗا عَلٰى ظُهُوْرِهٖ ثُمَّ تَذْكُرُوْا نِعْمَةَ رَبِّكُمْ اِذَا اسْتَوَيْتُمْ عَلَيْهِ وَتَقُوْلُوْا سُبْحٰنَ الَّذِيْ سَخَّرَ لَنَا هٰذَا وَمَا كُنَّا لَهٗ مُقْرِنِيْنَ ﴿١٣﴾ وَاِنَّآ اِلٰى رَبِّنَا لَمُنْقَلِبُوْنَ ﴿١٤﴾ وَجَعَلُوْا لَهٗ مِنْ عِبَادِهٖ جُزْءًا ۭ اِنَّ الْاِنْسَانَ لَكَفُوْرٌ مُّبِيْنٌ ﴿١٥﴾ اَمِ اتَّخَذَ مِمَّا يَخْلُقُ بَنٰتٍ وَّاَصْفٰىكُمْ بِالْبَنِيْنَ ﴿١٦﴾ وَاِذَا بُشِّرَ اَحَدُهُمْ بِمَا ضَرَبَ

---

تمن پيٺ تهه کهسان ته سوار سڏ ان ڇهوه۔ لِتَسْتَوٗا عَلٰى ظُهُوْرِهٖ ثُمَّ تَذْكُرُوْا نِعْمَةَ رَبِّكُمْ اِذَا اسْتَوَيْتُمْ عَلَيْهِ يُٺه تهه وُاره بهو تهندين پُشتن پيٺ توپته پاٌ دِوٿ تيس پنه نس پروردگاره سنزه يه نعمت يله تٿه سوارى پيٺ واره روزان آسِو وَتَقُوْلُوْا سُبْحٰنَ الَّذِيْ سَخَّرَ لَنَا هٰذَا وَمَا كُنَّا لَهٗ مُقْرِنِيْنَ تمه وقته آسو پر ان يه مضمون کهِ منزه ته پاک ڇهُ سهُ پروردگاريم تابع ته رام کر يه سِوارى سانهِ خاطره وَرنه في الحقيقت اَسِ آسِ نه پانه يهِ قابليت تهاوان کهِ اَسِ کيالبه هواُمس سوارى پيٺ قابو۔ کيازِ سهُ جانور ڇهُ سانه خوته زياده طاقتور آسان يه ڇهه محض مهربانى الله تعالىٰ سنز يَتهے پاٹه هيکه هونه اَس آبس پيٺ جهاز ته ناوه پکه ناوِ تهه۔ الله تعالىٰ نَے اَسهِ جهاز ته ناوه بناوه نک توفيق دِتُ توپته تمهِ آبس پيٺ پکه ناوه نک تدبير ته هيچه ناوِه ها۔ چونکه الله تعالىٰ اَن کر خشکى ته دريائى سوارين هنز ذِکر يَتهِ آيه کر تمس منز امهِ اَندره ڇهه سَپد ان معلوم کهِ ناوهِ گهسه وُن تهِ گرٿهِ پرُن سُبْحٰنَ الَّذِيْ سَخَّرَ لَنَا هٰذَا وَمَا كُنَّا لَهٗ مُقْرِنِيْنَ * وَاِنَّآ اِلٰى رَبِّنَا لَمُنْقَلِبُوْنَ بيه ڇههِ اَس پنه نس پروردگارس کُن واپس رجُوع کرهوُنى وَجَعَلُوْا لَهٗ مِنْ عِبَادِهٖ جُزْءًا توحيدس پيٺ بے شمار دليله آسنه باوجود ڇهِ ٹهراوان لوکه خدايس تهندِ وے بند واَندره کوره ته گبر تمن جزء بناوان ڇههِ خدايه سندى۔ حالانکه تَس اجزاء آسُن ڇهه مُحال تسندِ ه خاطره جُزء قرار دِيُن گوو نعوذ بالله تسند حادث مانُن يُس بوڈ کفر ته ناشکرى ڇهه۔ اکھ خرابى ڇهه اَتھ منز يهِ بياکھ خرابى ڇھ اَتھ منز که تيم لوکھ ڇههِ کورين ناقص زانان تو پته ڇههِ خدايس سيت تمن نسبت ٹهراوان اِنَّ الْاِنْسَانَ لَكَفُوْرٌ مُّبِيْنٌ بے شک اِنسان ڇهه نن پاٹھ ناشکرى گرهوُن اَمِ اتَّخَذَ مِمَّا يَخْلُقُ بَنٰتٍ وَّاَصْفٰىكُمْ بِالْبَنِيْنَ کياهِ تمِ ڇهاپنه نيو

لِلرَّحۡمٰنِ مَثَلًا ظَلَّ وَجۡهُهٗ مُسۡوَدًّا وَّهُوَ كَظِيۡمٌ ﴿۱۷﴾ اَوَمَنۡ يُّنَشَّؤُا فِى الۡحِلۡيَةِ وَهُوَ فِى الۡخِصَامِ غَيۡرُ مُبِيۡنٍ ﴿۱۸﴾ وَجَعَلُوا الۡمَلٰٓئِكَةَ الَّذِيۡنَ هُمۡ عِبٰدُ الرَّحۡمٰنِ اِنَاثًا ؕ اَشَهِدُوۡا خَلۡقَهُمۡ ؕ سَتُكۡتَبُ شَهَادَتُهُمۡ وَيُسۡـَٔلُوۡنَ ﴿۱۹﴾ وَقَالُوۡا لَوۡ شَآءَ الرَّحۡمٰنُ مَا عَبَدۡنٰهُمۡ ؕ

---

مخلوقو اَندرہ پننہ خاطرہ کورے کورِہ رَچھرِہ تہ تہہ کُر نوہ خاص پنچویو سیت حالانکہِ تو ہہِ چھوہ کورہ تیژہ ناپسندکہِ وَاِذَا بُشِّرَ اَحَدُهُمۡ بِمَا ضَرَبَ لِلرَّحۡمٰنِ مَثَلًا ظَلَّ وَجۡهُهٗ مُسۡوَدًّا وَّهُوَ كَظِيۡمٌ چنانچہِ یلہِ تموٲندرہ کانسہِ خبر چھہ یِوان دِنہ تمہِ سیتی یہِ تمو ٹھہراور حمتہ والِس خدایس یعنے کور، تمہِ ساتہ چھہ سپدان بُتھ تہیند سیاہ بیہِ چھہ غمہ سیت برنہ یِوان اَوَمَنۡ يُّنَشَّؤُا فِى الۡحِلۡيَةِ وَهُوَ فِى الۡخِصَامِ غَيۡرُ مُبِيۡنٍ کیاہ خدائن کریا اولاد بناونہ خاطرہ کورے پسند یوسہ ضعیف چھہ رایہِ کِن تہِ عقلہ کِن تہِ غرض تس چھہِ تیم خدای قدوس سندی جُزو ٹھہراوان یوسہ گہنہ پاتہ سے منز چھہ پلان تس چھُ زینت و آرآشہ کنے خیال آسان یُس تہندِہ ضعفِ رایہ ہُند علامُت چھہ۔ بیہ چھنہ مقابلہ کہِ وَقتہ سُہ مطلب پُٹن ظاہر ہیکان کرتھ یُس ضعفِ عقلہ ہُند علامُت چھہ کیازِہ تِمن چھہ قوتِ فکریس منز ضعف تہ سُستی۔ لہٰذا چھنہ سونچتہ کہِ وقتہ مکمل بیان تہ کتھ ہیکان کرِ تھ۔ یا چھہ تمہِ قسمہ چہِ کتھ کران تمن نہ اصل مطلبس سیت کانہہ تعلق آسان چھہ یمہِ سیت مقصد بیان کرنس اندر خلل واقع سپدان چھہ تہ ترتیمہ خرابی چھہ اَتھ اندرکہِ وَجَعَلُوا الۡمَلٰٓئِكَةَ الَّذِيۡنَ هُمۡ عِبٰدُ الرَّحۡمٰنِ اِنَاثًا تریم خرابی چھہ اَتھ اَندر قطعِ نظر لزومِ شرکہ نشہِ کرتھ کہ بیہ چھہِ لوکو ملائکہِ تیم حضرتِ رحمانہ سندی خاص بندہ چھہ، تمے چھکھ زنانہِ بلا دلیل زنانہ اَشَهِدُوۡا خَلۡقَهُمۡ کیا سنا تمِ آسہِ تہندِہ پادہ کرنکہ وقتہ موجود تو پتہ آسہِ تمِ وچھان تہنز کیفیت و حقیقت مرد آسہِ کنہ زنانہ آسہِ سَتُكۡتَبُ شَهَادَتُهُمۡ وَيُسۡـَٔلُوۡنَ تہنزہ یمہ بے بنیاد کتھ چھہ یِوان لیکھتھ تھاونہ تہندین نامہ اعمالن اَندر تو پتہ پِیکھ تمن کتھن ہُند پرژھنہ قیامتک دوہ وَقَالُوۡا لَوۡ شَآءَ الرَّحۡمٰنُ مَا عَبَدۡنٰهُمۡ بیہ چھہِ وَنان تیم کافر کہ ہرگاہ حضرتِ رحمان یژھہ ہا اَسِ گرہ ہونہ تمن ملائکن ہنز پرستش مَا لَهُمۡ بِذٰلِكَ مِنۡ عِلۡمٍ اِنۡ هُمۡ

مَا لَهُمْ بِذٰلِكَ مِنْ عِلْمٍ ۚ اِنْ هُمْ اِلَّا يَخْرُصُوْنَ ﴿٢٠﴾ اَمْ اٰتَيْنٰهُمْ كِتٰبًا مِّنْ قَبْلِهٖ فَهُمْ بِهٖ مُسْتَمْسِكُوْنَ ﴿٢١﴾ بَلْ قَالُوْٓا اِنَّا وَجَدْنَآ اٰبَآءَنَا عَلٰٓى اُمَّةٍ وَّاِنَّا عَلٰٓى اٰثٰرِهِمْ مُّهْتَدُوْنَ ﴿٢٢﴾ وَكَذٰلِكَ مَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ فِيْ قَرْيَةٍ مِّنْ نَّذِيْرٍ اِلَّا قَالَ مُتْرَفُوْهَآ ۙ اِنَّا وَجَدْنَآ اٰبَآءَنَا عَلٰٓى اُمَّةٍ وَّاِنَّا عَلٰٓى اٰثٰرِهِمْ مُّقْتَدُوْنَ ﴿٢٣﴾ قٰلَ اَوَلَوْ جِئْتُكُمْ بِاَهْدٰى مِمَّا وَجَدْتُّمْ عَلَيْهِ اٰبَآءَكُمْ ۗ قَالُوْٓا اِنَّا

اِلَّا يَخْرُصُوْنَ تمن چھنہ اَمِچ خبرے کینہہ۔ تم چھہ بلؔ تحقیقہ ورأے کتھ کران اندازہ لگاوان اَمْ اٰتَيْنٰهُمْ كِتٰبًا مِّنْ قَبْلِهٖ فَهُمْ بِهٖ مُسْتَمْسِكُوْنَ کیاہ اَسہِ چھا تمن کانہہ کتاباہ اَمہِ قرآنِ مجیدہ۔ برونٹھ عطا کرمژ اَتھ دعویٰ اس اندر کیاہ چھہِ تم تمی سیت استدلال کران حقیقت چھہ یہے کہ نہ چھہ تمن عقلی دلیلاہ اَتھ پیٹھ نہ نقلی دلیلاہ بَلْ قَالُوْٓا اِنَّا وَجَدْنَآ اٰبَآءَنَا عَلٰٓى اُمَّةٍ وَّاِنَّا عَلٰٓى اٰثٰرِهِمْ مُّهْتَدُوْنَ بلکہ چھہِ تم کران پیروی برونٹھمین ہندین رسمن ہنز۔ ونان چھہ کہ اَسہ وچھ ماَلِ بڑٕ بب پننِ اَمہ طریقہ پکان اَسِ تہ چھہِ پکان تہندوے نقشِ قدمو موجب وَكَذٰلِكَ مَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ فِيْ قَرْيَةٍ مِّنْ نَّذِيْرٍ اِلَّا قَالَ مُتْرَفُوْهَآ اِنَّا وَجَدْنَآ اٰبَآءَنَا عَلٰٓى اُمَّةٍ وَّاِنَّا عَلٰٓى اٰثٰرِهِمْ مُّقْتَدُوْنَ یتھے پاٹھ سوزنہ اَسہِ توہہِ برونٹھ یار سول اللہ کُنہِ شہرس منز کانہہ پیغمبراہ تمن بیم کرنہ خاطرہ۔ مگر ونان اُسی تمہ شہرک لوکھ مالدار تہ آسودہ حال کہ اَسہِ وچھ پننی ماَل بڑٕی بب اکہ وتہ پکان آس تہ چھہ تہندنے نقشِ قدمن پیٹھ پکھ تہنز پیروی کران قُلْ اَوَلَوْ جِئْتُكُمْ بِاَهْدٰى مِمَّا وَجَدْتُّمْ عَلَيْهِ اٰبَآءَكُمْ قَالُوْٓا اِنَّا بِمَآ اُرْسِلْتُمْ بِهٖ كٰفِرُوْنَ تہند تم پیغمبرن فرموو تمن کیاہر گاہ بہ توہہِ نشہِ پیش کرہ سو تہ یوسہ زیادہ مطلبس واتناوِن آسہ تمہِ وتہ خوتہ یتھ پیٹھ توہہِ و پھِھوکھ پنن ماَلِ بڑٕ بب توتہ پکوہ تہ تمی وتہ۔ تم لگ دپنہِ عنادہ کنی تہ اُس دیناہ ہتھ سوزنہ آمتِ چھوہ اُس چھنہ سہ دین ماناَنی۔ بلکہ چھہِ اُس تتھ انکار کران۔ یلہِ تہند عنادا تھ درجس ووت فَانْتَقَمْنَا مِنْهُمْ فَانْظُرْ كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُكَذِّبِيْنَ پس ہیوت اَسہِ تمن پور، انتقام۔ پس وچھو کیاہ سپد انجام تمن نہ

بِمَآ اُرۡسِلۡتُمۡ بِهٖ كٰفِرُوۡنَ ﴿۲۴﴾ فَانۡتَقَمۡنَا مِنۡهُمۡ فَانۡظُرۡ كَيۡفَ كَانَ عَاقِبَةُ الۡمُكَذِّبِيۡنَ ﴿۲۵﴾ وَاِذۡ قَالَ اِبۡرٰهِيۡمُ لِاَبِيۡهِ وَقَوۡمِهٖۤ اِنَّنِىۡ بَرَآءٌ مِّمَّا تَعۡبُدُوۡنَ ﴿۲۶﴾ اِلَّا الَّذِىۡ فَطَرَنِىۡ فَاِنَّهٗ سَيَهۡدِيۡنِ ﴿۲۷﴾ وَجَعَلَهَا كَلِمَةًۢ بَاقِيَةً فِىۡ عَقِبِهٖ لَعَلَّهُمۡ يَرۡجِعُوۡنَ ﴿۲۸﴾ بَلۡ مَتَّعۡتُ هٰٓؤُلَاۤءِ وَاٰبَآءَهُمۡ حَتّٰى جَآءَهُمُ الۡحَـقُّ وَرَسُوۡلٌ مُّبِيۡنٌ ﴿۲۹﴾ وَلَمَّا جَآءَهُمُ الۡحَـقُّ قَالُوۡا هٰذَا سِحۡرٌ وَّاِنَّا بِهٖ كٰفِرُوۡنَ ﴿۳۰﴾ وَقَالُوۡا لَوۡلَا

مانہ ونِین ہُند۔ ہر گاہ تِمَن آباء واجداد نے ہنز متابعت چھِہ کرن تیلہِ شوبہِ متابعت کرن تَس جدِ اعلیٰ سنزِ یم مُسلم و معظّم چھِہ سارِنے عربَن نِشہِ۔ تِم دِچھِو کتھی مضبوط تہ محکم آس توحیدِس پیٹھ وَاِذۡ قَالَ اِبۡرٰهِيۡمُ لِاَبِيۡهِ وَقَوۡمِهٖۤ اِنَّنِىۡ بَرَآءٌ مِّمَّا تَعۡبُدُوۡنَ بیہِ پأدیوکھ ژیٖتَس قِصّہ ابراہیم علیہ السلام یَیلہِ فرموو تِمو پننہ نِس مالِس تہ پننہ نِس قومَس بے شک بہٕ چھُس بیزار تِمَن سارِنے ہنز عبادت کرنہ نِشہِ یِمن ہنز پرستش کران چھِوہ اِلَّا الَّذِىۡ فَطَرَنِىۡ فَاِنَّهٗ سَيَهۡدِيۡنِ مگر بہٕ چھُس تَس ذاتِ پاکس سیت تعلق تھاوان یم بہٕ پیدہ کورُس بے شک سُی چھِہ میانہِ دینی و دُنیوی مصلحتن ہُنز میہ رہنمائی کران تہ وَتھ ہاوان وَجَعَلَهَا كَلِمَةًۢ بَاقِيَةً فِىۡ عَقِبِهٖ لَعَلَّهُمۡ يَرۡجِعُوۡنَ یہے قائم روزہ وٕنِ کتھ تراو تِمو باقی پننہ نین اولادن منز یتھ تِم پزِس کُن رجوع کرن۔ یعنے تِمو کر پننہ نین اولادن وصیت شرک تراوہ نَس تہ توحید پالہ نَس متعلق مگر یِم لوکھ چھِنہ شرک نِشہِ بازیوان بَلۡ مَتَّعۡتُ هٰٓؤُلَاۤءِ وَاٰبَآءَهُمۡ حَتّٰى جَآءَهُمُ الۡحَـقُّ وَرَسُوۡلٌ مُّبِيۡنٌ بلکہِ تُلہ ناومیہ یِم لوکھ بیہِ تِہندِ مالِ بُڈبَب زیٚچھِ عُمرِ تہ میٹھہِ رزقہ سیت تمتع۔ یوتانِ واتھ تِمَن نِشہِ پز کتاب بیہِ سورُی نزاوہ وٕن تہ صاف بیان کرہ وٕن پیغمبر خدایہِ سندہ طرفہ وَلَمَّا جَآءَهُمُ الۡحَـقُّ قَالُوۡا هٰذَا سِحۡرٌ وَّاِنَّا بِهٖ كٰفِرُوۡنَ توپتہ یَیلہِ ووت تِمَن یہِ پوز قرآنِ مجید تِمَن پزِہ ہا شکر و ثنا دِہُن تتھ بدل دِیچھ یلہِ تِمیک معجزات وٕچھکھ کہِ یہِ چھُ سِحر تہ جود۔ اَسِ چھِہ اَتھ اِنکار کران یہِ وونکھ قرآن مجیدس نسبت وَقَالُوۡا لَوۡلَا نُزِّلَ هٰذَا الۡقُرۡاٰنُ عَلٰى رَجُلٍ مِّنَ الۡقَرۡيَتَيۡنِ عَظِيۡمٍ بیہِ لگ دپنہِ نبی کریم صلی اللہ علیہ

نُزِّلَ هٰذَا الْقُرْاٰنُ عَلٰى رَجُلٍ مِّنَ الْقَرْيَتَيْنِ عَظِيْمٍ ﴿٣١﴾ اَهُمْ
يَقْسِمُوْنَ رَحْمَتَ رَبِّكَ ؕ نَحْنُ قَسَمْنَا بَيْنَهُمْ مَّعِيْشَتَهُمْ فِي الْحَيٰوةِ
الدُّنْيَا وَرَفَعْنَا بَعْضَهُمْ فَوْقَ بَعْضٍ دَرَجٰتٍ لِّيَتَّخِذَ بَعْضُهُمْ
بَعْضًا سُخْرِيًّا ؕ وَرَحْمَتُ رَبِّكَ خَيْرٌ مِّمَّا يَجْمَعُوْنَ ﴿٣٢﴾ وَلَوْلَآ اَنْ
يَّكُوْنَ النَّاسُ اُمَّةً وَّاحِدَةً لَّجَعَلْنَا لِمَنْ يَّكْفُرُ بِالرَّحْمٰنِ
لِبُيُوْتِهِمْ سُقُفًا مِّنْ فِضَّةٍ وَّمَعَارِجَ عَلَيْهَا يَظْهَرُوْنَ ﴿٣٣﴾ وَلِبُيُوْتِهِمْ

---

وسلمن متعلق که يہ قرآن مجيد کونہ آ ٔو نازل کرنہ تمو دوه يَو شهرَ منزه مکه و طائفه کيولوکو منزه کانسهِ بڈس شخصس پيٹھ اَهُمْ يَقْسِمُوْنَ رَحْمَتَ رَبِّكَ کياه تهٔندس پَروردگاره سنز خاص رحمت يعنے نبوّت چھا تِم پائے تقسيم کرن تہ باگرنِ يژهان۔ يہ چھہ سَراسر تهٔنز نادانی۔ تِمن کياه حق چھہ اتھ منز دخل دِنُک کيازِه نَحْنُ قَسَمْنَا بَيْنَهُمْ مَّعِيْشَتَهُمْ فِي الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا اَسِ چھہ تقسيم کران تہ باگران تِمن منز تهٔند رزق تہ روزی دنياچہِ زندگی اندر وَرَفَعْنَا بَعْضَهُمْ فَوْقَ بَعْضٍ دَرَجٰتٍ تتھ تقسيمس اندر کور اَسہِ تِمو اَندره اَڈين هُند دَرجہِ تهود اَڈين پيٹھ لِّيَتَّخِذَ بَعْضُهُمْ بَعْضًا سُخْرِيًّا يُتھ تِمہِ سيت يہ مصلحت حاصلِ سپدِ ہ کہ تِمو اَندره اَڈِهين کوم اَڈين نشہِ تِمہِ سيت روزهِ عالمُک نظام قائم وَرَحْمَتُ رَبِّكَ خَيْرٌ مِّمَّا يَجْمَعُوْنَ تو پتہ چھہ يہ کتھ ظاہر تہ يقينی کہِ تهٔندِس پروردگاره سنز رَحمت يعنے نبوّت چھہ بدرجہا بهتر تہ افضل تِمہِ مال دنياخوتہ يُس تِم سونبراوان چھہِ يعنے يلہِ يہ دنيوی معيشت يُس ادنیٰ درجُک چيز چھُ تِمُک تقسيم کرونہ اَسہِ تهٔنزه رایہِ موجُب، کياه نبوّت يُس اعلیٰ درجُک چيز چھہ تِمک مصالحِ تہ چھہِ اعلیٰ درجکی تِمُک تقسيم کتھ پاٹھ کرَو اَس تهٔنزِ ه رايہِ موجُب پتھ روز تِمچہِ صلاحيتُک بناءِ تہ چھُنہ اَمہِ نشہِ مال وریاست، دُنياءُک مال و دولت جاه و حشمت چھہ اَسہِ نشہِ حقير و ذليل تِمہِ قسم ہ کہِ وَلَوْلَآ اَنْ يَّكُوْنَ النَّاسُ اُمَّةً وَّاحِدَةً لَّجَعَلْنَا لِمَنْ يَّكْفُرُ بِالرَّحْمٰنِ لِبُيُوْتِهِمْ سُقُفًا مِّنْ فِضَّةٍ وَّمَعَارِجَ عَلَيْهَا يَظْهَرُوْنَ بيہِ ہرگاه يہ کتھ آسہِ نہ کہ ساری لوکھ کياه بنہ ہَن گُنی جماعت کافرن سيت موافقت کرِ تھ نتہ کره ہو اَسِ حضرتِ رحمانہ سندين

وَلِبُيُوتِهِمْ أَبْوَابًا وَسُرُرًا عَلَيْهَا يَتَّكِـُٔونَ ﴿٣٤﴾ وَزُخْرُفًا ۚ وَإِن كُلُّ ذَٰلِكَ لَمَّا
مَتَاعُ الْحَيَوٰةِ الدُّنْيَا ۚ وَالْآخِرَةُ عِندَ رَبِّكَ لِلْمُتَّقِينَ ﴿٣٥﴾ ع
وَمَن يَعْشُ عَن ذِكْرِ الرَّحْمَٰنِ نُقَيِّضْ لَهُ شَيْطَٰنًا فَهُوَ لَهُ قَرِينٌ ﴿٣٦﴾
وَإِنَّهُمْ لَيَصُدُّونَهُمْ عَنِ السَّبِيلِ وَيَحْسَبُونَ أَنَّهُم مُّهْتَدُونَ ﴿٣٧﴾
حَتَّىٰٓ إِذَا جَآءَنَا قَالَ يَٰلَيْتَ بَيْنِى وَبَيْنَكَ بُعْدَ الْمَشْرِقَيْنِ

---

مُنکرن، تھِندین گرن ھندی پَٽ تہ تالو روپہ سندیہ تمہِ ھیرہ تمو پيٺ ھيور کھسان تہ بون وسان پڇهِ تمہِ تہِ گرہ ھوکھ روپہ سنڙے وَلِبُيُوتِهِمْ أَبْوَابًا وَسُرُرًا عَلَيْهَا يَتَّكِـُٔونَ * وَزُخْرُفًا بیہِ گرہ ھوکھ تھِندین کھین ھندے دروازہ بیہِ چارپایہِ تمن پيٺ تمِ ڈوکھ دِتھ بھان تہ آرام کران پڇهِ روپہ سندتے چیز گرہ ھوائس سو نہ سند تیوت پڇهِ اَسہِ نشہِ مالِ دُنیا بے اعتبار تہ بے قدر وَإِن كُلُّ ذَٰلِكَ لَمَّا مَتَاعُ الْحَيَوٰةِ الدُّنْيَا وَالْآخِرَةُ عِندَ رَبِّكَ لِلْمُتَّقِينَ یہِ سوڑے کینہہ پڇهنہ مگر ناپائدار دنیاچہِ زندگی ھُند اکھ ساماناہ پائیدار آخرِت بیہِ آخرتک پوشہِ ڈن سازو سامان پڇهِ تھُندس خدائس نشہِ تمن لوکن ھندِہ خاطرہ تمِ تس کھو ژن شرکہِ نشہِ پتھ روزن وَمَن يَعْشُ عَن ذِكْرِ الرَّحْمَٰنِ نُقَيِّضْ لَهُ شَيْطَٰنًا فَهُوَ لَهُ قَرِينٌ یُس اکھاہ حضرت رحمانہ سندِہ نصیحتہ نشہِ یعنے قرآنِ مجیدہ نشہِ پڇهِ زانتھ کرِتھ اون بنان یتھ پاٹھ تِم کافر پڇهِ شافی دلیلہ اَستھ تمو سیت علم ضروری حاصلِ سَپدان پڇهِ تجاہل تہ تغافل کران اَسِ پڇهن تس پيٺ مقرر کران اکھ شیطاناہ یُس تس سیت سیت روزِتھ کُنہِ چیز چہِ کامہِ کن اَتھ وتھ پڇهنہ دِوان وَإِنَّهُمْ لَيَصُدُّونَهُمْ عَنِ السَّبِيلِ وَيَحْسَبُونَ أَنَّهُم مُّهْتَدُونَ بے شک تمِ شیطان پڇهِ تمن لوکن سیزِہ وَتہِ نشہِ پتھ رٹان مگر تمن پڇهِ پننہ جایہِ گمانہ کہِ تمِ پڇهِ سیزہ وتہِ پيٺ تمن ھنزِہ گمراہی ھنزیہ صورت آسہِ تھندِہ وتہِ پيٺ پکہ نچ کیاہ امیدیہ کرنہ تھُندغمے کیاہ پڇهِ کھیون حَتَّىٰٓ إِذَا جَآءَنَا قَالَ يَٰلَيْتَ بَيْنِى وَبَيْنَكَ بُعْدَ الْمَشْرِقَيْنِ فَبِئْسَ الْقَرِينُ یوت تام قیامتک دوہ یُتھ شخص اَسہِ نشہِ واتہِ سُہ آسیس سیت۔ اَمس سَپدِہ پننہِ غلطی ھُند احساس۔ اَمس شیطانس کُن لگہِ وَننہِ کاشکے میہ منز تہ ژیہ منز آسہا دُنیاء س منز تیوت دور یریوت

فَبِئْسَ الْقَرِيْنُ ﴿۳۸﴾ وَلَنْ يَّنْفَعَكُمُ الْيَوْمَ اِذْ ظَّلَمْتُمْ اَنَّكُمْ فِي الْعَذَابِ مُشْتَرِكُوْنَ ﴿۳۹﴾ اَفَاَنْتَ تُسْمِعُ الصُّمَّ اَوْ تَهْدِي الْعُمْيَ وَمَنْ كَانَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿۴۰﴾ فَاِمَّا نَذْهَبَنَّ بِكَ فَاِنَّا مِنْهُمْ مُّنْتَقِمُوْنَ ﴿۴۱﴾ اَوْ نُرِيَنَّكَ الَّذِيْ وَعَدْنٰهُمْ فَاِنَّا عَلَيْهِمْ مُّقْتَدِرُوْنَ ﴿۴۲﴾ فَاسْتَمْسِكْ بِالَّذِيْٓ اُوْحِيَ اِلَيْكَ ۚ اِنَّكَ عَلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿۴۳﴾ وَاِنَّهٗ لَذِكْرٌ

---

مشر قس تہ مغربس منز چھہ کیازِ ژہ چھکھ سیٹھاہ یچھ رفیق ژیہ کور تھس بہ گمراہ۔ مگر امی سُند یہ وُنُن ییہِ نہ اَمِس کُنہِ بکار اَمہِ ساتہ وننہ یِیکھ وَلَنْ يَّنْفَعَكُمُ الْيَوْمَ اِذْ ظَّلَمْتُمْ اَنَّكُمْ فِي الْعَذَابِ مُشْتَرِكُوْنَ یلہِ توہہ دنیاءس اندر کفر کرنہ سیت ظلم کوروہ۔ یتھ پاٹھ نہ از توہہِ افسوس وحسرت کرنس کانہہ فائداہ چھہ یتھ پاٹھ چھنہ یتھ کتھِ تہِ تہندہِ حقّہ کانہہ فایداہ کہ توہہ کیاہ چھوِ عذابس اندر اکھ اَکی سندی شریک یعنے یتھ پاٹھ دنیاءس اندر کُنہِ بلایہِ گرفتار گژھنہ سیت اکھ اَکس اکہِ قسمچ لوژر محسوس آس سپدان تہِ آسہِ نہ تتہِ بلکہِ آسہِ جہنمکہ عذابچ شدت امہِ قسمچہِ امہِ کتھہ ہُند ہوشی آسہِ نہ کانسہِ سُہ کیاہ گرہِ بیس کانسہِ کُن التفات تہ توجہ۔ پریتھ اکھاہ آسہِ پننہ نِس حالس اندر مُبتلا اَفَاَنْتَ تُسْمِعُ الصُّمَّ اَوْ تَهْدِي الْعُمْيَ وَمَنْ كَانَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ اے پیغمبر توہہِ یلہِ یہنزہ حالتھ معلوم سپز کیاہ تہہ ہیکوکھ زر بوزہناو تھ یا ہیکوہ اَنین وَتھ ہاوِ تھ۔ بیہِ ہیکونہ سُہ شخص یُس ننہِ گمراہی منز پیومُت آسہِ وَتہِ پیٹھ اَنتھ۔ یعنے تہُند ہدایت چھہ تہندہ اختیارہ نشہِ نیبر۔ لہذا امہ کھیوِ تہہ تُمیک غمے۔ تمن ہنزیہِ سرکشی تہ نافرمانی ییہِ نہ نظر انداز کرنہ بلکہِ ییہِ تمن نشہِ اَمیک ضرور انتقام ہنہ۔ ادہ سُہ تہنزہ موجودگی اَندر اَس تن یا تہُندہِ یمہِ عالمہ گژھنہ پتہ اَسِ تن فَاِمَّا نَذْهَبَنَّ بِكَ فَاِنَّا مِنْهُمْ مُّنْتَقِمُوْنَ پس ہر گاہ اَسِ تہہُ یمہ عالمہ نموِوہ توتہِ چھہِ اَس تمن نشہِ ضرور انتقام ہیوہ ون اَوْ نُرِيَنَّكَ الَّذِيْ وَعَدْنٰهُمْ فَاِنَّا عَلَيْهِمْ مُّقْتَدِرُوْنَ نتہ ہاووہ توہہِ تہِ سُہ عذاب یمیک اَسہِ تمن وعدہ کورمُت چھہ سُہ گروٲس تمن نازل تہنزہِ موجودگی اَندرے۔ بہر حال اَسِ چھہِ تمن پیٹھ پریتھ طریقہ پور قدرت تھاوان فَاسْتَمْسِكْ بِالَّذِيْٓ اُوْحِيَ اِلَيْكَ ۚ اِنَّكَ عَلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ پس روزِوتہہُ پورہ اطمینانہ سان

لَكَ وَلِقَوْمِكَ ۚ وَسَوْفَ تُسْـَٔلُوْنَ ﴿٤٤﴾ وَسْـَٔلْ مَنْ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رُّسُلِنَآ اَجَعَلْنَا مِنْ دُوْنِ الرَّحْمٰنِ اٰلِهَةً يُّعْبَدُوْنَ ﴿٤٥﴾ وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا مُوْسٰى بِاٰيٰتِنَآ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ فَقَالَ اِنِّىْ رَسُوْلُ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٤٦﴾ فَلَمَّا جَآءَهُمْ بِاٰيٰتِنَآ اِذَا هُمْ

---

اتھ قرآنِ مجيد س پيٹھ قائم۔ يُس توہہِ پيٹھ وحيه که ذريعه نازِل آو کرنه۔ تہہ پھِوہ بيشک سيزہ وتہ پيٹھ وَاِنَّهٗ لَذِكْرٌ لَّكَ وَلِقَوْمِكَ وَسَوْفَ تُسْـَٔلُوْنَ يہِ قرآن مجيد چھہ شرف تہ عزت تہنٛدِ خاطرہ بيہِ تہنٛدِ قومہ خاطرہ تہنٛدِ خاطرہ چھہ يمہِ موکھ کہِ توہہِ کُن چھہ بلاواسطہ اتھ اندر خطاب تہنٛدِ قومہ خاطرہ چھہ امہِ موکھ کہِ تمِ چھہِ تہنٛدِ واسطہ مُخاطب عام پادشہن ہندِ طرفہ خطاب سپُدن چھہ باعثِ کمالِ شرف و عزت وون چھنہ گژھے يلہ ملک الملوکہِ سندہ طرفہ خطاب آسہِ۔ سُہ کوتاہ باعث کمالِ شرف و عزت چھہ قومہ اندرہ چھہ مُراد قريش ياساری عربکِ لوکھ ياساری اُمتی۔ توہہ سارنے ييہِ يہِ پرژھنہ پننہِ پننہِ ذمہ داری ہندين حقوقن مُتعلق يتھ منز تمو کوتاہی کرمژ آسہِ ييہِ پرژھنہ تبليغس متعلق باقين نشہِ ييہِ پرژھنہ تعميل احکامن متعلق يتھ منز تمو کوتاہی کرمژ آسہِ وَسْـَٔلْ مَنْ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رُّسُلِنَآ اَجَعَلْنَا مِنْ دُوْنِ الرَّحْمٰنِ اٰلِهَةً يُّعْبَدُوْنَ يارسول الله ہرگاہ توہہِ خوش گرہِ تُہی پرژھتو تہ دريافت کُر تو تمن نشہِ يم اَسہِ توہہِ برونٹھ پننہ نيو پيغمبرو اندرہ سوزی لوکن کُن کياہ اَسہِ چھا حضرتِ رحمانس وراۓ بيہِ معبود مقرر کرمت تمن ہنز پرستش کرنہ ييہِ يا يعنے تہنز وَتھ تہِ چھہ سوۓ يوسہ بَين حضراتِ انبياءن ہنز آس۔ شرکچ تعليم چھنہ کانسہِ پيغمبرن دِژمژ نہ چھہ الله تعالیٰ اَن کُنہِ دينس منز يہ کتھ جائز قرار دِژمژ کہِ خدايس وراۓ کياہ ييہِ بيہِ کانسہِ ہنز پرستش گرنہ۔ خدايہِ سُند يہِ ارشاد گرن کہ تُہی پرژھتو پيغمبرن، سُہ گو ويمہِ وقتہ تمن سيت ملاقات سپدِ مثلاً شب معراجس اندر۔ ياو پھتو تہنزن کتابن اندر۔ بہرحال يُس يُس ذريعہ توہہِ مُمکن سپدِ سُہ کرتو تہِ استعمال۔ توہہِ سپدِ صاف معلوم کہ کُنہِ آسمانی دينس اندر چھنہ کُنہِ وَقتہ شرکُک اِجازتِ دِنہ آمُت وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا مُوْسٰى بِاٰيٰتِنَآ اِلٰى فِرْعَوْنَ وَمَلَا۟ئِهٖ فَقَالَ اِنِّىْ رَسُوْلُ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ پرٛاٹھ بيہِ سوزٛ اَسہِ مُوسیٰ کليم اللهٛ پننِ آيات ہيتھ فرعونس تہ تہنٛدين

مِّنْهَا يَضْحَكُوْنَ ﴿٤٧﴾ وَمَا نُرِيْهِمْ مِّنْ اٰيَةٍ اِلَّا هِيَ اَكْبَرُ مِنْ اُخْتِهَا وَ
اَخَذْنٰهُمْ بِالْعَذَابِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ ﴿٤٨﴾ وَقَالُوْا يٰٓاَيُّهَ
السّٰحِرُ ادْعُ لَنَا رَبَّكَ بِمَا عَهِدَ عِنْدَكَ ۚ اِنَّنَا لَمُهْتَدُوْنَ ﴿٤٩﴾
فَلَمَّا كَشَفْنَا عَنْهُمُ الْعَذَابَ اِذَا هُمْ يَنْكُثُوْنَ ﴿٥٠﴾ وَنَادٰى فِرْعَوْنُ
فِيْ قَوْمِهٖ قَالَ يٰقَوْمِ اَلَيْسَ لِيْ مُلْكُ مِصْرَ وَهٰذِهِ الْاَنْهٰرُ
تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِيْ ۚ اَفَلَا تُبْصِرُوْنَ ﴿٥١﴾ اَمْ اَنَا خَيْرٌ مِّنْ هٰذَا الَّذِيْ هُوَ

---

اہلِ کارَن کین توٚ پتہٕ فرموو تمن نشہِ یتھ تمو ای فِرعَون بہٕ چھُس پیغمبر ربُ العالمینہ سندہٕ طرفہٕ توٚہہِ لوکن ہدایت کرنہ خاطرہ مگر فرعونَن تہٕ تمی سند یو لوکو مون نہ فَلَمَّا جَآءَهُمْ بِاٰيٰتِنَآ اِذَا هُمْ مِّنْهَا يَضْحَكُوْنَ ادہ یلہِ موسیٰ علیہ السلام ووت تمن نشہِ سانِ آیات یعنی آیاتِ تسعہ نو آیات ہیتھ۔ یکبار لگ تمِ لوکھ تمِ آیات وٕچھتھ اَسنہِ تہٕ ٹھٹھہ کرنہِ وَمَا نُرِيْهِمْ مِّنْ اٰيَةٍ اِلَّا هِيَ اَكْبَرُ مِنْ اُخْتِهَا بیہِ آس نہ اَسِ تمن کانہہ معجزہ ہاوان مگر سُہ اوس بیہِ معجزہ خوتہٕ بوڈ آسان وَاَخَذْنٰهُمْ بِالْعَذَابِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ اَسہِ کرے تمِ گرفتار مختلف عذابو سیت دیوہ تمِ نافرمانیو نشہِ باز یتھ خدایَس کُن رجوع کرن وَقَالُوْا يٰٓاَيُّهَ السّٰحِرُ ادْعُ لَنَا رَبَّكَ بِمَا عَهِدَ عِنْدَكَ ۚ اِنَّنَا لَمُهْتَدُوْنَ بیہِ دوپ تمو موسیٰ علیہ السلامس عذابو سیت تنگ یتھ اے جادوگرہِ سانہِ خاطرہ منگتہ پنہٕ نِس پروردگارس کیازِہ ژیہ چھے تم قبولیتِ دعاءُک وعدہ کورمُت۔ بے شک اَسِ چھہِ وَتہِ پیٹھ یوہ وَنِ ہرگاہ اَس تمو عذابو نشہِ نجات لبو۔ چنانچہ موسیٰ علیہ السلامَن کور تہندہ خاطرہ دُعا عذاب سُپد تمن نشہِ دور فَلَمَّا كَشَفْنَا عَنْهُمُ الْعَذَابَ اِذَا هُمْ يَنْكُثُوْنَ ادہ یلہ اَسہِ تمن نشہِ عذاب تُل تہٕ دور کور یکبار ہیوت تمو بیہِ سُہ وعدہ پھُرٕاوُن بیہِ ہڑکھ نافرمانی کرنِ۔ وَنَادٰى فِرْعَوْنُ فِيْ قَوْمِهٖ قَالَ يٰقَوْمِ اَلَيْسَ لِيْ مُلْكُ مِصْرَ وَهٰذِهِ الْاَنْهٰرُ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِيْ ۚ اَفَلَا تُبْصِرُوْنَ بیہِ کر فرعونَن کریکھ تہٕ منادی پنہٕ نِس قومَس منز غالبًا یہِ خیال کرِتھ کہ خبر چھا موسیٰ علیہ السلامہ سندو اریہ معجزو وچھت ماسپدن عام لوکھ متاثر سپدِتھ مُسلمان منادی اندر وَنہ نووٕکھ اے میانہِ قومہ کیو لوکھو قبطیو میہ چھنا تمہِ مِصرٕچ

مَهِينٌ ۙ وَّلَا يَكَادُ يُبِينُ ﴿٥٢﴾ فَلَوْلَآ أُلْقِيَ عَلَيْهِ أَسْوِرَةٌ مِّن ذَهَبٍ أَوْ جَآءَ مَعَهُ الْمَلَٰٓئِكَةُ مُقْتَرِنِينَ ﴿٥٣﴾ فَاسْتَخَفَّ قَوْمَهُ فَأَطَاعُوهُ ۚ إِنَّهُمْ كَانُوا قَوْمًا فَاسِقِينَ ﴿٥٤﴾ فَلَمَّآ ءَاسَفُونَا انتَقَمْنَا مِنْهُمْ فَأَغْرَقْنَٰهُمْ أَجْمَعِينَ ﴿٥٥﴾ فَجَعَلْنَٰهُمْ سَلَفًا وَمَثَلًا لِّلْءَاخِرِينَ ﴿٥٦﴾ وَلَمَّا ضُرِبَ

---

حکومت تہٕ سلطنت بیٚیہ چھنا میانیو مکانوتہٕ باغو منز۔ یمہٕ جویہ تہٕ کوٗلہ پکان یمہ دریاے نیلہ نشہٕ کڈنہ آمژہ چھہ۔ کیاہ تہٕ چھوہ ناو چھان تِم چیز۔ موسیٰ علیہ السلامس نشہٕ چھُنہ کہین۔ وونِ ونتو تہٕ بہ چھُسہ بہتر تہٕ قابل اتباع کنہٕ موسیٰ علیہ السلام چھہ أَمْ أَنَا خَيْرٌ مِّنْ هَٰذَا الَّذِي هُوَ مَهِينٌ وَلَا يَكَادُ يُبِينُ بلکہ چھُس بوی بہتر امِس شخصہ سندہ خوتہٕ یُس نہ کنہہ اعتبار تہٕ عزت چھہ بیٚیہ چھنہ سُہ کتھ تہٕ وارہ پاٹھ کرتھ ہیکان۔ زیوِہ ہندہٕ پھُہرہ سبب فَلَوْلَا أُلْقِيَ عَلَيْهِ أَسْوِرَةٌ مِّن ذَهَبٍ أَوْ جَاءَ مَعَهُ الْمَلَائِكَةُ مُقْتَرِنِينَ ہرگاہ یہ شخص خدایہٕ سُند فرستادہ آسہٕ ہا۔ ادہ کونہ آی تروانہ تمِس پیٹھ خدایہٕ سندہٕ طرفہٕ سونہ سند کر۔ یتھ پاٹھ پادشہن ہنز طریق چھہ تمِ یلہٕ کانسہٕ شخصس پیٹھ مہربان آسن چھہٕ تمِ چھہٕ تس شخصس سونہ سند کر لاگان اگر تمِس شخصس تہٕ نبوت عطا کرنہ آسہا آمژ تلہٕ آسہ ہن امِس تہٕ آمت لاگنہ سونہ سند کر۔ یا کونہ چھہ تمِس سیت سیت ملایک پکان پرٚپن اکھ اکس ستی مِلہ ناوِ تھ فَاسْتَخَفَّ قَوْمَهُ فَأَطَاعُوهُ إِنَّهُمْ كَانُوا قَوْمًا فَاسِقِينَ تیٚمہِ کتھ ونی کھین عقل پنہ قوچ تمِ آیہ امی سندِس دھوکس منز تمو کرٕ امہ سنزن کتھن پیٹھ عمل۔ بے شک تمِ اَس برونٹھ پیٹھے شرارتہٕ ہت۔ نافرمانی کرہ ون۔ فَلَمَّا آسَفُونَا انتَقَمْنَا مِنْهُمْ فَأَغْرَقْنَاهُمْ أَجْمَعِينَ ادہ یلہٕ تِمو لوکو برابر کفر وعنادس پیٹھ اِصرار کرِ تھ اَسہٕ ژکھ کھار اَسہٕ ہیوت تِمن پور انتقام۔ چنانچہ پھاٹو اَسہٕ تمہ ساری دریائے قلزمس اندر فَجَعَلْنَاهُمْ سَلَفًا وَمَثَلًا لِّلْآخِرِينَ تو پتہ بناو اَسہٕ تمِ گامژ گذرے مژ جماعتھاہ اکھ بیٚیہ مِثالاہ پتہ یوہ ونین ہندِہ عبرت رٹنہ خاطرہ۔ یلہٕ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمو یہ آیہ کریمہ تلاوت کور إِنَّكُمْ وَمَا تَعْبُدُونَ مِن دُونِ اللَّهِ حَصَبُ جَهَنَّمَ أَنتُمْ لَهَا وَارِدُونَ مشرکین عرب لگ دٚپنہ کہ نصاریٰ چھہٕ عیسیٰ علیہ السلامس سنز عبادت کران لہذا چھہٕ تمِ تہٕ یمہٕ آیہ کریمہ کِس عمومس اندر داخل سپدان۔ لہذا اگر سانِ معبودتہٕ اَتھ منز داخل سپدن کیاہ ہش کتھاہ چھہ بعضے رواتین اندر چھہ کہ نبی

ابْنُ مَرْيَمَ مَثَلًا اِذَا قَوْمُكَ مِنْهُ يَصِدُّوْنَ ﴿٥٧﴾ وَقَالُوْٓا ءَاٰلِهَتُنَا خَيْرٌ اَمْ هُوَ ؕ مَا ضَرَبُوْهُ لَكَ اِلَّا جَدَلًا ؕ بَلْ هُمْ قَوْمٌ خَصِمُوْنَ ﴿٥٨﴾ اِنْ هُوَ اِلَّا عَبْدٌ اَنْعَمْنَا عَلَيْهِ وَجَعَلْنٰهُ مَثَلًا لِّبَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ ؕ ﴿٥٩﴾ وَلَوْ نَشَآءُ لَجَعَلْنَا مِنْكُمْ مَّلٰٓئِكَةً فِى الْاَرْضِ يَخْلُفُوْنَ ﴿٦٠﴾ وَاِنَّهٗ لَعِلْمٌ لِّلسَّاعَةِ فَلَا تَمْتَرُنَّ بِهَا وَاتَّبِعُوْنِ ؕ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ﴿٦١﴾

---

ڪريم صلي الله عليہ وسلم فرمايائون ته لَيْسَ اَحَدٌ يُعْبَدُ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ فِيْهِ خَيْرٌ مشرڪ لڳا چوڻ ته ڪيئن مسيح عليہ السلام بابت ته منهنجو ڪانه خير آهي؟ ته پوءِ ظاهر آهي ته آيت ڪريمہ ۾ به ته نبي ڪريم جن جي انهن الفاظن جو مطلب آهي ته انهن چيزن بابت جن چيزن جي پرستش ڪري رهيا آهيو انهن جي پرستش ڪرڻ وارا نه ته انهن تي راضي آهن نه ممانعت ڪن ٿا. مگر هي اعتراض ڪرڻ وارن جو مطلب آهي فقط جهيڙو ڪرڻ ۽ قضيو لائڻ جو موقعو آهي ته معني پيدا ڪرڻ ۾ متڪلم جي مقصد کان خلاف آهي آسان وَلَمَّا ضُرِبَ ابْنُ مَرْيَمَ مَثَلًا اِذَا قَوْمُكَ مِنْهُ يَصِدُّوْنَ بيهر ته عيسيٰ بن مريم عليہ السلام متعلق اها عجيب مضمون آهي بيان ڪرڻ معترضه جي طرف ٿي هوڻ ته قومن جي مضمون بوز ته ڪريڪ ناد ڪرڻ شور ڪرڻ ۽ اظهار خوشي ڪرڻ وَقَالُوْٓا ءَاٰلِهَتُنَا خَيْرٌ اَمْ هُوَ چوڻ لڳا ته اسان جا معبود ڀلا بهتر آهن يا عيسيٰ عليہ السلام

مَا ضَرَبُوْهُ لَكَ اِلَّا جَدَلًا تو ڪري عيسيٰ عليہ السلام جو مثال پيش ٿو ڪن مگر محض قضيو لائڻ خاطر تو سان بَلْ هُمْ قَوْمٌ خَصِمُوْنَ بلڪ آهي ته انهن جي عادت ئي موجب قضيو لائڻ وارن لوڪن اِنْ هُوَ اِلَّا عَبْدٌ اَنْعَمْنَا عَلَيْهِ وَجَعَلْنٰهُ مَثَلًا لِّبَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ عيسيٰ عليہ السلام آهي محض هڪ ٻانهو هو جنهن تي اسان مقبوليت ۽ ڪمالات نبوت ته سيت پنهنجا احسان ۽ انعام ڪيو هئوسين ۽ بني اسرائيلن ۽ ٻين لوڪن جي خاطر پنهنجي قدرت جو هڪ نمونو اهي آهي ته اسان ان کان به زياده عجيب ۽ غريب امور ظاهر ڪرڻ تي قادر. چنانچه وَلَوْ نَشَآءُ لَجَعَلْنَا مِنْكُمْ مَّلٰٓئِكَةً فِى الْاَرْضِ يَخْلُفُوْنَ هرگاه اسين چاهيون ته اوهان جي نسل ۾ گهرو ملائڪ پيدا ٿين ها يعني اوهان جي نسل پيدا ٿين. يا آسمان جي والن کي اوهان جي بدل ملائڪ. ته ئي بساو کي

وَلَا يَصُدَّنَّكُمُ الشَّيْطٰنُ ۚ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ ﴿۶۲﴾ وَلَمَّا جَآءَ عِيْسٰى بِالْبَيِّنٰتِ قَالَ قَدْ جِئْتُكُمْ بِالْحِكْمَةِ وَلِاُبَيِّنَ لَكُمْ بَعْضَ الَّذِيْ تَخْتَلِفُوْنَ فِيْهِ ۚ فَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاَطِيْعُوْنِ ﴿۶۳﴾ اِنَّ اللّٰهَ هُوَ رَبِّيْ وَرَبُّكُمْ فَاعْبُدُوْهُ ؕ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ﴿۶۴﴾ فَاخْتَلَفَ الْاَحْزَابُ مِنْ ۢ بَيْنِهِمْ ۚ فَوَيْلٌ لِّلَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مِنْ عَذَابِ يَوْمٍ اَلِيْمٍ ﴿۶۵﴾ هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّا السَّاعَةَ اَنْ تَاْتِيَهُمْ

---

زمینس منز اکھ اکس پتہ وَاِنَّهٗ لَعِلْمٌ لِّلسَّاعَةِ فَلَا تَمْتَرُنَّ بِهَا وَاتَّبِعُوْنِ بیہِ چھہ عیسیٰ علیہ السلامہ سُند بے پدر پأدہ سپُدن اکھ بوڈ نشاناہ تہ یقینک ذریعاہ قیامتچہ حق آسنک۔ پس مہ کرِو تہہ لوکھ قیامتس منز کُنہِ قسمہ شک تہ تردد۔ بیہ کرِو میانی پیروی تہ تابعداری هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ یہے چھہ سیز وَتھ یوسہ بہ توہہ ہاوان چھُسوہ وَلَا يَصُدَّنَّكُمُ الشَّيْطٰنُ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ مُّبِيْنٌ بیہِ یُتھنہ شیطان توہہِ اَتھ سیزِہ وَتھ پیٹھ پکنہ نشہِ پتھ رٹہِ تہِ ڈالہِ کیازِہ بے شک سُہ چھُنا تہُند نون دشمن وَلَمَّا جَآءَ عِيْسٰى بِالْبَيِّنٰتِ قَالَ قَدْ جِئْتُكُمْ بِالْحِكْمَةِ وَلِاُبَيِّنَ لَكُمْ بَعْضَ الَّذِيْ تَخْتَلِفُوْنَ فِيْهِ تہ پتہ یلہِ پانہ آو عیسیٰ علیہ السلام نَنِ معجزات تہ نَنہِ دلیلہ ہیتھ۔ لوکن دوپُن بہ آس توہہِ نشہِ عقلہِ ہنز مختہ دلیلہ ہیتھ۔ بیہ آس بہِ توہہِ نشہِ یُتھ بہ صاف گرہ تمِ مسئلہ تہ احکام یمن منز توہہِ اختلاف تہ قضیہ کران چھوہ فَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاَطِيْعُوْنِ پس کھوژو خدایہِ سندِس عذابس۔ میان مخالفت مہ کرِو۔ میانِس نبوتس مہ کرِو انکار بیہ کرِو میان فرمانبرداری اِنَّ اللّٰهَ هُوَ رَبِّيْ وَرَبُّكُمْ فَاعْبُدُوْهُ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ بے شک اللہ تعالیٰ اکی چھہ میون پروردگارتہِ تہُند پَروردگارتہِ۔ پس کرِو تہنزے یاژِ عِبادت تہ پرستش یہے چھوہ توحید، پرہیزگاری، فرمانبرداری، سیز وَتھ مگر باوجود وضاحت فَاخْتَلَفَ الْاَحْزَابُ مِنْ ۢ بَيْنِهِمْ پس کور تمو منز ہ واریہو جماژو اختلاف عیسیٰ علیہ السلامہ سندِس حقس منز۔ اَڈیو دوپ سُہ چھہ خدا بیو دوپ سُہ چھہ خدایہِ سُند نچو۔ بیو دوپ تریو خدایو منز ہ چھہ سُہ اکھ خداہ فَوَيْلٌ لِّلَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مِنْ عَذَابِ يَوْمٍ اَلِيْمٍ پس تمن ظالمن یعنے مُشرِکن اہلِ

بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ﴿٦٦﴾ اَلْاَخِلَّآءُ يَوْمَئِذٍۭ بَعْضُهُمْ لِبَعْضٍ
عَدُوٌّ اِلَّا الْمُتَّقِيْنَ ﴿٦٧﴾ يٰعِبَادِ لَا خَوْفٌ عَلَيْكُمُ الْيَوْمَ وَلَآ اَنْتُمْ
تَحْزَنُوْنَ ﴿٦٨﴾ اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاٰيٰتِنَا وَكَانُوْا مُسْلِمِيْنَ ﴿٦٩﴾ اُدْخُلُوا
الْجَنَّةَ اَنْتُمْ وَاَزْوَاجُكُمْ تُحْبَرُوْنَ ﴿٧٠﴾ يُطَافُ عَلَيْهِمْ بِصِحَافٍ
مِّنْ ذَهَبٍ وَّاَكْوَابٍ ۚ وَفِيْهَا مَا تَشْتَهِيْهِ الْاَنْفُسُ وَتَلَذُّ
الْاَعْيُنُ ۚ وَاَنْتُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٧١﴾ وَتِلْكَ الْجَنَّةُ الَّتِيْٓ اُوْرِثْتُمُوْهَا

---

كتابن وغيرن هندہ خاطرہ ڇهه دود تله ونه عذاب ۾ سخت خرابي سپڙه ون هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّا السَّاعَةَ اَنْ تَاْتِيَهُمْ
بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ تيم لوکه تيم باوجود حق واضح ته صاف آسکه باطلس پيٹھ اصرار کرتھ فقط
قيامتک انتظار ڇهه کران که سوگڙهه تمن پيٹھ هنگه ته منگه وانته ين تهے که تمن روزه نه خبرے تمه قيامتک
واقعات ڇهه تمه قسمک که اَلْاَخِلَّآءُ يَوْمَئِذٍۭ بَعْضُهُمْ لِبَعْضٍ عَدُوٌّ اِلَّا الْمُتَّقِيْنَ تمه دوهه آسن دنيوی
ساری دوست اڈاڈين هند دشمن۔ مگر نه خدا ايس کھوژه ون يعنے اهل ايمان، تيمن هنز دوستی محض خدايه
سنده رضا خاطره آسه۔ تهنز دوستی روز قيامتک دوه ته باقی تمن فرماوه الله تعالیٰ يٰعِبَادِ لَا خَوْفٌ عَلَيْكُمُ
الْيَوْمَ وَلَآ اَنْتُمْ تَحْزَنُوْنَ اے ميانيو بندواز ڇهنه توهه پيٹھ واقع سپده ون نه کانه خوف کتهاه نه سپدوتهه
غمگين گنه چيزه سيت اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاٰيٰتِنَا وَكَانُوْا مُسْلِمِيْنَ ميان بنده گئے تمے تمو مياه نين اياتن پيٹھ
ايمان اون۔ بيه تيم ميانين حکمن گردن داران آس اُدْخُلُوا الْجَنَّةَ اَنْتُمْ وَاَزْوَاجُكُمْ تُحْبَرُوْنَ تمن بيه ونه
اے ميانيو بندواژو جنتس منز تهه بيه تهنزه باايمان زنانه عزت و فرحته سان يُطَافُ عَلَيْهِمْ بِصِحَافٍ
مِّنْ ذَهَبٍ وَّاَكْوَابٍ جنتس اندر وانته آسن تمن برونٹھ کنی پھر ناونه يوان ته پيش يوان گرنه سونه
سنزه رکابه کھينه چيز هيتھ۔ بيه سونه سند آب خورچنيه چيز هيتھ وَفِيْهَا مَا تَشْتَهِيْهِ الْاَنْفُسُ وَتَلَذُّ الْاَعْيُنُ
تمنے جنتن منز سپدن حاصل تمن تم ساری چيز تمن کن ميل گڑهان آسه تهندين دلن بيه تمه که وڇهنه
سيت اڇهن آسيکھ لذت حاصل سپدان۔ ونه آسه تمن يوان وَاَنْتُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ اے باايمانو توهه

بِمَا كُنتُمْ تَعْمَلُونَ ﴿٧٢﴾ لَكُمْ فِيهَا فَاكِهَةٌ كَثِيرَةٌ مِّنْهَا
تَأْكُلُونَ ﴿٧٣﴾ إِنَّ الْمُجْرِمِينَ فِي عَذَابِ جَهَنَّمَ خَالِدُونَ ﴿٧٤﴾
لَا يُفَتَّرُ عَنْهُمْ وَهُمْ فِيهِ مُبْلِسُونَ ﴿٧٥﴾ وَمَا ظَلَمْنَاهُمْ وَ
لَٰكِن كَانُوا هُمُ الظَّالِمِينَ ﴿٧٦﴾ وَنَادَوْا يَا مَالِكُ لِيَقْضِ عَلَيْنَا
رَبُّكَ ۖ قَالَ إِنَّكُم مَّاكِثُونَ ﴿٧٧﴾ لَقَدْ جِئْنَاكُم بِالْحَقِّ وَلَٰكِنَّ
أَكْثَرَكُمْ لِلْحَقِّ كَارِهُونَ ﴿٧٨﴾ أَمْ أَبْرَمُوا أَمْرًا فَإِنَّا مُبْرِمُونَ ﴿٧٩﴾

---

وَتِلْكَ الْجَنَّةُ الَّتِي أُورِثْتُمُوهَا بِمَا كُنتُمْ تَعْمَلُونَ وَنہٕ یِکھ ابدالآبادیہٕ ہمیشہ روزن اندر جنتن تِمن چھہ یہ جنت یُس توہہِ وَراثتہ پاٹھ دِنہ آو تِمک تہٕ مالک بناونہ آوہ یہ چھہ توہہِ بدلہ تِمن عملن ہُند یِمہٕ تُہی دنیاءَس منز کران اَسوہ لَكُمْ فِيهَا فَاكِهَةٌ كَثِيرَةٌ مِّنْهَا تَأْكُلُونَ تہنٛد خاطرہ چھہِ اَتھ جنتس اندر وارِیاہ میوہ تِموے منزہ چھوہ تہٕ کھیوان یہ گووبا ایمانن ہُند حال اَمہٕ پتہ چھہ کافرن ہُند حال بیان یوان کرنہ إِنَّ الْمُجْرِمِينَ فِي عَذَابِ جَهَنَّمَ خَالِدُونَ بے شک نافرمان یعنی کافر روزن جہنمہٕ کِس عذابس منز ہمیشہ لَا يُفَتَّرُ عَنْهُمْ وَهُمْ فِيهِ مُبْلِسُونَ سو ژراونہ تہٕ کم ییہٕ نہٕ کرنہٕ تِمن نشہِ سُہ عذاب۔ بلکہِ تِم روزن تتھ عذابس اندر مایوس تہٕ نااُمید وَمَا ظَلَمْنَاهُمْ وَلَٰكِن كَانُوا هُمُ الظَّالِمِينَ اَسہِ کورنہ تِمن پیٹھ کُنہِ قسمہ ظلم لیکن تِم اَس پانے ظالِم کفر و شرک کرنہ سببہ وَنَادَوْا يَا مَالِكُ لِيَقْضِ عَلَيْنَا رَبُّكَ آلو دِن تِم نافرمان لوکھ (جہنمہٕ کِس داروغس) اے مالک ژہٕ منگتہ پنہٕ نِس پروردگارس سُہ کرہِ ہا حکم سانہ مرنگ دیوہ تِمہِ سیت یِمہِ عذابہ نشہِ موکلہ ہو قَالَ إِنَّكُم مَّاكِثُونَ سُہ دِییکھ جواب تہٕ چھوہ روزہ ون ہمیشہ اَتھ عذابس اندر۔ نہ چھُوہ توہہ مُرن تہٕ نہٕ چھوہ اَمہِ منزہ نیرن لَقَدْ جِئْنَاكُم بِالْحَقِّ وَلَٰكِنَّ أَكْثَرَكُمْ لِلْحَقِّ كَارِهُونَ بیشک اَسہِ واتنووہ توہہِ نشہِ پیغمبرن ہندِ ہ ذریعہ پوز دین مگر توہہِ اَندرہ وارِیاہن لوکن اوس پوز دین کھران أَمْ أَبْرَمُوا أَمْرًا فَإِنَّا مُبْرِمُونَ پیغمبرس تکلیف واتناونہ خاطرہ کورتِمو کانہہ انتظام درست لہذا کور اَسہِ تہِ اکھ انتظام درست یہ کتھ چھہ ظاہر کہ خدائی انتظامَس مقابلہ کیاہ چلہِ تہنٛد انتظام۔

أَمْ يَحْسَبُونَ أَنَّا لَا نَسْمَعُ سِرَّهُمْ وَنَجْوٰىهُمْ ۚ بَلٰى وَرُسُلُنَا لَدَيْهِمْ
يَكْتُبُونَ ﴿٨٠﴾ قُلْ إِنْ كَانَ لِلرَّحْمٰنِ وَلَدٌ ۖ فَأَنَا أَوَّلُ الْعٰبِدِينَ ﴿٨١﴾
سُبْحٰنَ رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ رَبِّ الْعَرْشِ عَمَّا يَصِفُونَ ﴿٨٢﴾
فَذَرْهُمْ يَخُوضُوا وَيَلْعَبُوا حَتّٰى يُلٰقُوا يَوْمَهُمُ الَّذِي يُوعَدُونَ ﴿٨٣﴾
وَهُوَ الَّذِي فِي السَّمَآءِ إِلٰهٌ وَّفِي الْأَرْضِ إِلٰهٌ ۚ وَهُوَ الْحَكِيمُ
الْعَلِيمُ ﴿٨٤﴾ وَتَبٰرَكَ الَّذِي لَهُ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا ۚ

---

چنانچه تم روڌي محفوظ ٿهنده شره نشهِ۔ ٿهند دشمن سڀڙي ناکام پنه نين تدبيرن اندر أَمْ يَحْسَبُونَ أَنَّا لَا نَسْمَعُ سِرَّهُمْ وَنَجْوٰىهُمْ کياه تمن ڇا گمانه که اَس کياه ڇهنه بوزان ٿهنزه پوشيده ته لوته لوته ڪٿه بيه ٿهنزه ڦسرايه ته خفيه مشوره بے شک ڇهِ اَس بوزان ٿهند سوُرے بَلٰى وَرُسُلُنَا لَدَيْهِمْ يَكْتُبُونَ بلکه ڇهِ ساني خفيه پوليس ملک ٿهند سوُرے تمن نکه تل روزِ ته ليکهته ٿھوان قُلْ إِنْ كَانَ لِلرَّحْمٰنِ وَلَدٌ فَأَنَا أَوَّلُ الْعٰبِدِينَ فرماويو کهٔ ته يارسول الله هرگاه رحمته والس خدايس اولاد آسه هَن به اوُس تيلهِ گوڈه نيک پرستش کرهٔ ون تس۔ مگر الله تعالىٰ ڇه تمهِ نشهِ منزه ته پاک سُبْحٰنَ رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ رَبِّ الْعَرْشِ عَمَّا يَصِفُونَ منزه ته پاک ڇه سهٔ آسمانن ته زمينن هُند مالک يُس عرشِ مجيدک مالِک تهٔ ڇه، تمو سارِوے ڪٿهو نشهِ يمه ڪٿه کافر تس کُن لاگان ڇه فَذَرْهُمْ يَخُوضُوا وَيَلْعَبُوا حَتّٰى يُلٰقُوا يَوْمَهُمُ الَّذِي يُوعَدُونَ پس تراوکهٔ تمِ اَته پنه نِس شغلس اندر يوتانِ تم سمکهن تته دوهس يمِيک تمن وعده کرنه يوان ڇه يعني قيامتک دوه تمهِ دوهه ننه تمن پانے۔ يعنے ٿهندِه مخالفتک مه کرِو کانهه انديشهِ۔ ٿهندِه ايمان نه انه نُک مه کهيوِ کانهه غم وَهُوَ الَّذِي فِي السَّمَآءِ إِلٰهٌ وَّفِي الْأَرْضِ إِلٰهٌ وَهُوَ الْحَكِيمُ الْعَلِيمُ سهٔ پروردگار گوو سُے يُس آسمانن اندر تهِ معبود ڇه اهل سماواتن هُند۔ زمينن اندر تهِ معبود ڇه زمينه کين لوکن هُند بيهِ ڇه سُے بوڈ حکمته وول سيٹھاه زانن وول وَتَبٰرَكَ الَّذِي لَهُ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا بيهِ ڇه سيٹھاه عالي شان سهٔ ذاتِ پاک يُس آسمانن ته زمينن هُند بيهِ تمهِ

وَعِنْدَهٗ عِلْمُ السَّاعَةِ ۚ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ﴿٨٥﴾ وَلَا يَمْلِكُ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهِ الشَّفَاعَةَ اِلَّا مَنْ شَهِدَ بِالْحَقِّ وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ ﴿٨٦﴾ وَلَئِنْ سَاَلْتَهُمْ مَّنْ خَلَقَهُمْ لَيَقُوْلُنَّ اللّٰهُ فَاَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ ﴿٨٧﴾ وَقِيْلِهٖ يٰرَبِّ اِنَّ هٰٓؤُلَآءِ قَوْمٌ لَّا يُؤْمِنُوْنَ ﴿٨٨﴾ فَاصْفَحْ عَنْهُمْ وَقُلْ سَلٰمٌ ۚ فَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ ﴿٨٩﴾

---

سارِ کُ بيهِ تمن منز باگ ڇڇه حاکمِ ته پادشاه ڇڇه. تُم سنڙے سلطنت ڇڇه قائم پريته جايه تهند علم ڇڇه تتھے کامِل کہ وَعِنْدَهٗ عِلْمُ السَّاعَةِ قيامتچ خبر ته علم ڇڇه خاص تسی يوت بيهِ ڇهنه تچ خبر کانسهِ اَکس. بيهِ ڇڇه سے جزاء وسزاءُک مالک وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ چنانچه تهه ساری اِيومر نه پته بيهِ زندسپد ته حساب دنه خاطره تُس کُن واتناونه وَلَا يَمْلِكُ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِهِ الشَّفَاعَةَ اِلَّا مَنْ شَهِدَ بِالْحَقِّ وَهُمْ يَعْلَمُوْنَ بيهِ ڇهنه کانهه اختياراه تمن معبودانِ باطلن تمن تمِ خدايس ورائے معبودزانان ڇڇهِ سفارش کره نک ته مگر کرن شفاعت تمے لوکه تمو گواهی دِژمژ آسهِ پزچ يعني پزس خدايس آسکھ اقرار کورمُت درحالنيکه تمِ اُس پورزانان يعنے دِلن اندرته آسکھ پور پزژه. تمے کرن شفاعت فقط باايمان گنه گارَن. مُشرکن ته کافرن ڇهنه توته کانهه فائده وَلَئِنْ سَاَلْتَهُمْ مَّنْ خَلَقَهُمْ لَيَقُوْلُنَّ اللّٰهُ فَاَنّٰى يُؤْفَكُوْنَ بيهِ هرگاه تهی تمن کافرن پرِ ژهويا رسول الله تمِ کُم کُر پاده ضرور دپنوه جواب که الله تعالیٰ اَن کُر اُسِ پاده. يه اکھ مُقدمه سُپد ثابت تهندِه تسليم کرنه سيت دويم مُقدمه ڇڇه بديهی. عبادتس سزاوار ڇهنه مگر سےُ يُس قادِر آسهِ پاده کره نَس پيٹھ. بديهی تهِ ڇڇه مُسلمے هيو، پَس ڇڇهِ تم لوکھ مقدماتن مانان. مگر مطلوب مانِنه کهِ وقته خبر کوُن ڇڇهِ گرشهان وَقِيْلِهٖ يٰرَبِّ اِنَّ هٰٓؤُلَآءِ قَوْمٌ لَّا يُؤْمِنُوْنَ مهِ ڇڇه قسم پيغمبر برحقه سندِه يارب ونه نُک، بيشک تم لوکھ ڇڇهِ تتھی سنگدل کهِ يم هرگزايمان اَنَن نه فَاصْفَحْ عَنْهُمْ وَقُلْ سَلٰمٌ فَسَوْفَ يَعْلَمُوْنَ پَس پھرِ وتهه تمن نشهِ روی سُخن يعنی تراوِو تمن تبليغ کرُن. تمن دِپو ميانِ ڇهوه سَلام. ميه ڇُهنه توههِ سيت کانهه تعلق. برونٹھ پهن زانَن تمِ پانے تمن کياه بنهِ اَته روگردانی کره نَس پيٹھ.

## سُوۡرَۃُ الدُّخَانِ

بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ ○

حٰمٓ ۚ﴿۱﴾ وَ الۡکِتٰبِ الۡمُبِیۡنِ ۙ﴿۲﴾ اِنَّاۤ اَنۡزَلۡنٰہُ فِیۡ لَیۡلَۃٍ مُّبٰرَکَۃٍ اِنَّا کُنَّا مُنۡذِرِیۡنَ ﴿۳﴾ فِیۡہَا یُفۡرَقُ کُلُّ اَمۡرٍ حَکِیۡمٍ ۙ﴿۴﴾ اَمۡرًا مِّنۡ عِنۡدِنَا ؕ اِنَّا کُنَّا مُرۡسِلِیۡنَ ۚ﴿۵﴾ رَحۡمَۃً مِّنۡ رَّبِّکَ ؕ اِنَّہٗ ہُوَ السَّمِیۡعُ الۡعَلِیۡمُ ۙ﴿۶﴾ رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَ الۡاَرۡضِ وَ مَا بَیۡنَہُمَا ۘ اِنۡ کُنۡتُمۡ مُّوۡقِنِیۡنَ ﴿۷﴾ لَاۤ اِلٰہَ اِلَّا ہُوَ یُحۡیٖ وَ یُمِیۡتُ ؕ رَبُّکُمۡ وَ رَبُّ اٰبَآئِکُمُ

---

حٰمٓ یِم چھِ زہ حرف حروفِ مقطعا تواَندرہ۔ یِمن ہُند معنی زانہِ پانہ پروردگار **وَالۡکِتٰبِ الۡمُبِیۡنِ * اِنَّاۤ اَنۡزَلۡنٰہُ فِیۡ لَیۡلَۃٍ مُّبٰرَکَۃٍ اِنَّا کُنَّا مُنۡذِرِیۡنَ** قسم چھُ یمہِ مقدس کتاب ہُند یوسہ بیان کرہ وِنی چھہ احکامن حلال وحرامس تہٕ حق وباطِلس۔ بیہِ کُر اَسہِ سوکتاب یعنی قرآنِ مجید نازل لوحِ محفوظہ پیٹھ آسمانِ دُنیاءس کُن بابرکت شبس اندر کیازِہ اَسِ چھِ لوکن تہندِہ شفقتہ موکھ اَتھ قرآنِ مجیدس اَندر تم چیز بیان کرہ وِنی یِم تِمن مضر چھِ، پننہ عذابہ سیت کھوژہ ناوہ ون **فِیۡہَا یُفۡرَقُ کُلُّ اَمۡرٍ حَکِیۡمٍ** اتھ شبس اندر چھہ پریتھ حکمتہ وول معاملہ سانہِ پیشی تلہ حکم صادر سپدِ تھ طے یِوان کرنہ **اَمۡرًا مِّنۡ عِنۡدِنَا** ای چھہ سپدان سانی حکمہ سیت **اِنَّا کُنَّا مُرۡسِلِیۡنَ * رَحۡمَۃً مِّنۡ رَّبِّکَ** اَسی آسِ بوجہ رحمت یوسہ تہندس پروردگارہ سندہِ طرفہ چھہ توہہِ پیغمبر سوزہ ون یُتھ تہندہ واسطہ لوکن پور اطلاع سپدِہ **اِنَّہٗ ہُوَ السَّمِیۡعُ الۡعَلِیۡمُ** بیشک سُہ چھہ سیٹھاہ بوزن دول تہٕ سیٹھاہ زانن وول **رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَمَا بَیۡنَہُمَا** یُس مالک چھہ آسمانن تہٕ زمین ہُند۔ بیہِ تمہِ سارِنے یِہ تِمن منز باگ چھہ **اِنۡ کُنۡتُمۡ مُّوۡقِنِیۡنَ** اگر تہہٕ یقین کرہ ون چھِوہ **لَاۤ اِلٰہَ اِلَّا ہُوَ یُحۡیٖ وَیُمِیۡتُ رَبُّکُمۡ وَرَبُّ اٰبَآئِکُمُ الۡاَوَّلِیۡنَ** کانہہ معبود اہ چھُنہ تَس ورائے سُی چھہ بدہ نَس منز زُو واتہ ناوہ وُن، سے چھہ بدنہ منزہ زُو کڈہ وُن۔ بیہِ چھہ سُی تہند پروردگار تہندین مالین بڈین ہُند مالِک تہٕ

الْاَوَّلِیْنَ ﴿۸﴾ بَلْ هُمْ فِیْ شَكٍّ یَّلْعَبُوْنَ ﴿۹﴾ فَارْتَقِبْ یَوْمَ تَاْتِی السَّمَآءُ بِدُخَانٍ مُّبِیْنٍ ﴿۱۰﴾ یَّغْشَی النَّاسَ ؕ هٰذَا عَذَابٌ اَلِیْمٌ ﴿۱۱﴾ رَبَّنَا اكْشِفْ عَنَّا الْعَذَابَ اِنَّا مُؤْمِنُوْنَ ﴿۱۲﴾ اَنّٰی لَهُمُ الذِّكْرٰی وَقَدْ جَآءَهُمْ رَسُوْلٌ مُّبِیْنٌ ﴿۱۳﴾ ثُمَّ تَوَلَّوْا عَنْهُ وَقَالُوْا مُعَلَّمٌ مَّجْنُوْنٌ ﴿۱۴﴾ اِنَّا

---

پَروردِگار بَلْ هُمْ فِیْ شَكٍّ یَّلْعَبُوْنَ بلکه چھِ تم توحید و غیره پڑوَ کتھو نِشہِ شکس منز۔ دنیاہ کس گِند نس درو که نس سیت مصروف۔ آخرتچ چھکنه کانْہہ فکرے۔ وونِ یلہِ یم لوکھ پوز واضِح تہ صاف سپدِ تھ تہِ مانَن نہ کینْہہ فَارْتَقِبْ یَوْمَ تَاْتِی السَّمَآءُ بِدُخَانٍ مُّبِیْنٍ پَس پیارِ وتھہٗ تھند ہ خاطره تتھ دوہَس یمہِ دوہہِ آسمانکہِ طرفہ اکھ دہ ہا بوزنہ یِیہِ یُس سارِنے درینٹھی آسہِ یِوان یَّغْشَی النَّاسَ هٰذَا عَذَابٌ اَلِیْمٌ سُہ یِیہِ وَلنہ لوکن تمِ دہَن یِہ چھُہ عذاباہ دَگ تُلہ وُن۔ امہِ اَندرہ چھُہ مُرادسُہ قحط یتھ منز اہلِ مکہ مُبتلا سپد۔ یمُگ سبب اوس بد دُعا حضرتِ رسولِ کریم صلی اللہ علیہ وسلّم سُند یلہِ تمَو سخت تکلیف ہیوت دیُن نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم بیہِ مسلمانَن۔ ظاہری سبب سپُد امہِ قحطُک کہ حضرتِ ثمامہ یم شہر یمامُک بڑی رئیس اَس سپدے مُسلمان۔ مکہ کیو کافرو ہرژ تمن سخت ملامتھ کرن تتھ پیٹھ۔ تمو کور شہر یمامہ پیٹھ مکس کُن غلہ سوزُن بَند۔ مکَس کُن اوس یمامہ پیٹھے غلہ یِوان۔ یپارِ کنِ سپز بارِش تہِ بَند مکُک لوکھ ہیتِن بوچھہِ سیت مرُنِ قایدہ چھُہ سخت بوچھہِ ہندِس حالَس اندر خشک سالی ہندس وقتس اندر چھُہ بوزنہ یِوان آسمانکہ طرفہ دہ وتھان۔ غرض مکُک لوکھ یلہِ سخت تنگ ینِ قحطہ سببہ تمِ لگِن عاجزی کرنہِ تمِ ہین دُعا کرُن رَبَّنَا اكْشِفْ عَنَّا الْعَذَابَ اِنَّا مُؤْمِنُوْنَ اے سانہِ پروردگارہ دور کرتہ اَسہِ نِشہِ یِہ قحطُک عذاب۔ بے شک اَسِ اَنووونِ ضرور ایمان۔ چنانچہِ یِہ پیشین گوئی سپز یتھ پاٹھی پوره کہ ابُو سفیان بیہِ بعضیو قریشَو لیُچھ نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم کہِ تہٕ کر تو دعاے خَیر بیہِ کر تو ثمامہ یمانیس فہمایش سُہ سوزِہا بیہِ غلہ۔ بیہِ کور ابو سفیانَن وعدہ پننہ مُسلمان سپد نُک۔ چنانچہ امہِ برونٹھ کُن چھُہ اللہ تعالیٰ فرماوان سُہ وعدہ اوس نہ بصدقِ دِل اَنّٰی لَهُمُ الذِّكْرٰی وَقَدْ جَآءَهُمْ رَسُوْلٌ مُّبِیْنٌ یم لوکھ کتھ پاٹھ رٹہ ہَن نصیحت

كَاشِفُوا الْعَذَابِ قَلِيلًا إِنَّكُمْ عَائِدُونَ ﴿١٥﴾ يَوْمَ نَبْطِشُ الْبَطْشَةَ الْكُبْرَىٰ ۚ إِنَّا مُنْتَقِمُونَ ﴿١٦﴾ وَلَقَدْ فَتَنَّا قَبْلَهُمْ قَوْمَ فِرْعَوْنَ وَجَاءَهُمْ رَسُولٌ كَرِيمٌ ﴿١٧﴾ أَنْ أَدُّوا إِلَيَّ عِبَادَ اللَّهِ ۖ إِنِّي لَكُمْ رَسُولٌ أَمِينٌ ﴿١٨﴾ وَأَنْ لَا تَعْلُوا عَلَى اللَّهِ ۖ إِنِّي آتِيكُمْ بِسُلْطَانٍ مُبِينٍ ﴿١٩﴾ وَإِنِّي

---

اُمهِ عذاب سيت ہمهِ سيت تهندِه ايمان تہ توقع ڪيئن ٿي ٿي سگهي. حالانڪه تن وٽ واضح پيغمبر اچي ويو هو ۽ هنن جو طرف ڪنڌ به نه ڦيرايائون ثُمَّ تَوَلَّوْا عَنْهُ وَقَالُوا مُعَلَّمٌ مَجْنُونٌ تو پڻ تہ ڪُر تمو تِس پيغمبر سِ نشهِ سر تابي تہ اي لگِ

وِننهِ ڪهِ يه چهه مو تاه ڪم تانِ ہمهِ ڪته ٻچهِ نو ومُت إِنَّا كَاشِفُوا الْعَذَابِ قَلِيلًا إِنَّكُمْ عَائِدُونَ اُسي گر و حُجت پوره ڪرنه خاطره ڪينهه ڪالاه تمن نشهِ يهِ عذاب دور مگر تهه ڪُر وِيهِ تي يه ڪران آسو۔ ڪُفر تہ نافرماني۔ چنانچه يهِ پيشين گوئي سپز ـيتهه پاڻهِ پوره ڪه نبي ڪريمو صلي الله عليه وسلم كور دُعا تو پتهِ پيوّو رود۔ بيهِ ليو ڪهُچهه ثمامه يمانِيُس تمِ سوز غله۔ مكه ڪين لوڪن سپز فارغُ البالي ميُسر پريشاني گيڇه دور۔ مگر سُه ڪته سَنا ڪره هَن تمِ پتِن وعده پور۔ بيهِ هيو ٽيڇه تي ڪرُن يهِ ڪران آسِ يَوْمَ نَبْطِشُ الْبَطْشَةَ الْكُبْرَىٰ إِنَّا مُنْتَقِمُونَ اَده ہمهِ دوهه رَٽو ڪهه اُس تمهِ بوڊ سخت رَٽه ڊناه تمهِ دوهه ڇهڙ و ڪهه نه۔ اُس گئے تمهِ دوهه پور انتقام هنه وال وَلَقَدْ فَتَنَّا قَبْلَهُمْ قَوْمَ فِرْعَوْنَ وَجَاءَهُمْ رَسُولٌ كَرِيمٌ البته بيهِ ڪُر اَسهِ آزمائش تمن برونٺهِ فرعونه سندِ س قومَس ہمهِ طريقه ڪهِ آو تمن نشهِ پيغمبراه عزّ ته وول يعني موسیٰ عليه السلام أَنْ أَدُّوا إِلَيَّ عِبَادَ اللَّهِ إِنِّي لَكُمْ رَسُولٌ أَمِينٌ تمِ فرموڊ ڪهه اَے قوم فرعون ڪريو ڪهه ميه حواله خدايه سند بنده بني اسرائيل توهه رنگا رنگ تڪليفن ڇهِوڪهه ڪُر مستِ۔ پتنهِ غلامي نشهِ ڪريو ڪهه تمِ آزاد۔ به ڇهُس خدايه سندهِ طرفه پيغمبراه اَمانت دار۔ به ڇهُسوه نه ڪانهه ڪتهاه پتنه طرفه ونان ميه يُس حكم خدايه سندهِ طرفه واتان ڇهه به ڇهُس سُه حُڪم توهه نِش واتناوان۔ لهذا اپزهِ توهه تعميلِ احكام ڪرُن۔ وَأَنْ لَا تَعْلُوا عَلَى اللَّهِ إِنِّي آتِيكُمْ بِسُلْطَانٍ مُبِينٍ بيهِ فرموو ڪهه ڪهِ مَهِ ڪُر و سرڪشي خدايس نشهِ۔ به ڇهُس توهه نشهِ آمُت ٽيڪني دليل هيٿه پتنهِ نبوّتچ يعني عصا ته يدِ بيضا۔ يلهِ فرعونَن ته تهند قومن مون نه بلكه هيو ٽيڇه مشوره ڪرُن موسیٰ عليه السّلامه سندِه قتلڪ ته مارنگ وَإِنِّي

عُذْتُ بِرَبِّيْ وَرَبِّكُمْ أَنْ تَرْجُمُوْنِ ﴿٢٠﴾ وَإِنْ لَّمْ تُؤْمِنُوْا لِيْ فَاعْتَزِلُوْنِ ﴿٢١﴾
فَدَعَا رَبَّهٗٓ أَنَّ هٰٓؤُلَآءِ قَوْمٌ مُّجْرِمُوْنَ ﴿٢٢﴾ فَأَسْرِ بِعِبَادِيْ لَيْلًا
إِنَّكُمْ مُّتَّبَعُوْنَ ﴿٢٣﴾ وَاتْرُكِ الْبَحْرَ رَهْوًا ۭ إِنَّهُمْ جُنْدٌ مُّغْرَقُوْنَ ﴿٢٤﴾
كَمْ تَرَكُوْا مِنْ جَنّٰتٍ وَّعُيُوْنٍ ﴿٢٥﴾ وَّزُرُوْعٍ وَّمَقَامٍ كَرِيْمٍ ﴿٢٦﴾
وَّنَعْمَةٍ كَانُوْا فِيْهَا فٰكِهِيْنَ ﴿٢٧﴾ كَذٰلِكَ ۣ وَأَوْرَثْنٰهَا قَوْمًا اٰخَرِيْنَ ﴿٢٨﴾

---

عُذْتُ بِرَبِّيْ وَرَبِّكُمْ أَنْ تَرْجُمُوْنِ بیہ چھُس پنہ نِس خدایس یُس تُہند خداتہِ چھُہ پناہ منگان تُہہ کیاکٔرِو میہ شہید کِنہ لایی لایی وَإِنْ لَّمْ تُؤْمِنُوْا لِيْ فَاعْتَزِلُوْنِ ہرگا تُوہہ میہ پٔژھ کٔرونہ تیلہِ روزِو میہ نِشہِ الگ۔ یہِ وَنتھ تہِ رود تمِ موسیٰ علیہ السلامَس تکلیف واتناوان فَدَعَا رَبَّهٗٓ أَنَّ هٰٓؤُلَآءِ قَوْمٌ مُّجْرِمُوْنَ پَس مونگ دعا موسیٰ علیہ السلامَن پنہ نِس پروردگارس یاالله تمِ چھِہ سخت شریر لوکھ۔ میہ دِہ نجات یِہندِ شرہ نِشہِ۔ الله تعالیٰ ان فرموٗد کھ اے موسیٰ اَسہِ کور تُہند دُعا قبول۔ وونِ ووت یِہندِ فاصلک وقت فَأَسْرِ بِعِبَادِيْ لَيْلًا إِنَّكُمْ مُّتَّبَعُوْنَ پَس کراَسہِ حکم موسیٰ علیہ السلامَس کہِ تُہہ نیرِو میانِ بندہ بنی اسرائیل ہیتھ راتھی منزٕ۔ برونٹھ یِیہ وَتہِ اندر توہہِ دریاو۔ تُہہِ لائی زِہ تتھ دریاوس لورہِ سیت ژٕنڈ۔ سُہ سپدِ خشک۔ سُہ دیہِ تُوہہِ اپور ترنہ خاطرہ وَتھ تہ یِلہِ بنی اسرائیل ہیتھ اپور تٔرِو دریاو روزِہ اَتھ حالس پیٹھ۔ تُہہ کٔرِ زِہ نہ کانہہ فکر خبر چھا فرعون تہِ مایِیہ سُہ تہِ ماوسہِ اتھ دریاوَس اَندر تو پتہ ماترہ اَپور۔ اَمِ فکرِ تہِ اندیشہِ کٔری زِہ نہِ تُہہ کینہہ تہِ۔ کیازِہ توہہِ پتےٚ نیرِہ فرعون لشکر ہیتھ توہہِ گرفتار کرنہ خاطرہ۔ رات راتی نیرنہ سیت ہیکہِ نہ سُہ توہہِ رٹِتھے وَاتْرُكِ الْبَحْرَ رَهْوًا بلکہِ تراوزہن تُہہ دریاو پنہ نِس حالس پیٹھ یُتھ فرعونہ سنز لشکر تہ دریاوس منز وَسہِ۔ إِنَّهُمْ جُنْدٌ مُّغْرَقُوْنَ بے شک سُو لشکر چھُہ دَریاوَس منز واتتھ پھٹہ ونی تہ غرق سپدہ ونی۔ تو پتہ یِلہِ تمِ پھٹِ تہ ہلاک گئے كَمْ تَرَكُوْا مِنْ جَنّٰتٍ وَّعُيُوْنٍ * وَّزُرُوْعٍ وَّمَقَامٍ كَرِيْمٍ پتھ کُن تراو تِمو کاتیاہ باغ بیہِ کاتیاہ ناگہ راد۔ کوتاہ زراعتک زمین بیہِ کاژاہ عمدہ جایہِ وَّنَعْمَةٍ كَانُوْا فِيْهَا فٰكِهِيْنَ بیہِ عیش و آرامک سامان یتھ منز خوشحالی آس آسان كَذٰلِكَ نافرمانن سیت چھِہ اَسِ

فَمَا بَكَتْ عَلَيْهِمُ السَّمَآءُ وَالْاَرْضُ وَمَا كَانُوْا مُنْظَرِيْنَ ﴿٢٩﴾ وَلَقَدْ نَجَّيْنَا بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ مِنَ الْعَذَابِ الْمُهِيْنِ ﴿٣٠﴾ مِنْ فِرْعَوْنَ ۭ اِنَّهٗ كَانَ عَالِيًا مِّنَ الْمُسْرِفِيْنَ ﴿٣١﴾ وَلَقَدِ اخْتَرْنٰهُمْ عَلٰي عِلْمٍ عَلَي الْعٰلَمِيْنَ ﴿٣٢﴾ وَاٰتَيْنٰهُمْ مِّنَ الْاٰيٰتِ مَا فِيْهِ بَلٰۗـؤٌا مُّبِيْنٌ ﴿٣٣﴾ اِنَّ هٰٓؤُلَاۗءِ لَيَقُوْلُوْنَ ﴿٣٤﴾ اِنْ هِىَ اِلَّا مَوْتَتُنَا الْاُوْلٰى وَمَا نَحْنُ بِمُنْشَرِيْنَ ﴿٣٥﴾ فَاْتُوْا بِاٰبَاۗىِٕنَآ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿٣٦﴾ اَهُمْ خَيْرٌ اَمْ قَوْمُ تُبَّعٍ ۙ وَّ

یو ہے معاملہ کران وَاَوْرَثْنٰهَا قَوْمًا اٰخَرِيْنَ امہ ساری تہندہ مال و دولتک وارث بناوِ اسہ بیہ لوکہ یعنے بنی اسرائیل فَمَا بَكَتْ عَلَيْهِمُ السَّمَآءُ وَالْاَرْضُ وَمَا كَانُوْا مُنْظَرِيْنَ پس وودنہ تمن پیٹھ نہ آسمانن تہ نہ زمین بیہ اُس نہ تمِ مُہلت دِنہ آمتی یعنے تمن آیہ نہ مزید مُہلت دِنہ وَلَقَدْ نَجَّيْنَا بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ مِنَ الْعَذَابِ الْمُهِيْنِ البتہ دُیت اسہ یتھے پاٹھ نجات بنی اسرائیلن سخت ذِلتہ کہ عذابہ نشہ مِنْ فِرْعَوْنَ یعنے فرعونہ سندہ ظُلم وستمہ نشہ اِنَّهٗ كَانَ عَالِيًا مِّنَ الْمُسْرِفِيْنَ بے شک سُہ اوس سخت سرکش سیٹھاہ حدہ نشہ ڈلہ ونیو اندرہ۔ اکھ نعمت کُر اسہ بنی اسرائیلن پیٹھ یہ کہ نجات دیتھ فرعونہ سندہ شرہ نشہ امہ علاوہ کُر کھ بیاکھ نعمت وَلَقَدِ اخْتَرْنٰهُمْ عَلٰي عِلْمٍ عَلَي الْعٰلَمِيْنَ بیہ دِژ اسہ فوقیت بنی اسرائیلن تمہ زمانہ کین بین لوکن پیٹھ پننہ علم وحکمتہ موجب وَاٰتَيْنٰهُمْ مِّنَ الْاٰيٰتِ مَا فِيْهِ بَلٰۗـؤٌا مُّبِيْنٌ بیہ دِت اسہ تمن پننہ قدرتک تمے نِشانہ یمن منز تہندہ حقہ ننی انعامات اُس من وسلوی وغیرہ اِنَّ هٰٓؤُلَاۗءِ لَيَقُوْلُوْنَ * اِنْ هِىَ اِلَّا مَوْتَتُنَا الْاُوْلٰى وَمَا نَحْنُ بِمُنْشَرِيْنَ بیشک یم کافر چھہ قیامتک وعید بوزِتھ قیامتس انکار کران۔ تو پتہ چھہ ونان سانِ اخیری حالت چھہ یہے کہ اسہ چھہ یتھ دنیاہس اندر مرُن۔ تو پتہ چھنہ اسہ بیہ زندہ سپدُن۔ یعنے اخیری حالت سانِ حیاتِ اُخروی چھنہ بلکہ چھہ اخیری حالت موت دُنیوی۔ اسہ چھنہ مگر اکی لٹہ مرُن تو پتہ یمو نہ اُسِ بیہ زِندہ کرنہ فَاْتُوْا بِاٰبَاۗىِٕنَآ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ اے مسلمانو ہرگاہ تُہہ مرنہ پتہ بیہ زندہ گژھنہ کس اعتقادس منز پُز زیرِ چھِو زیادہ انتظار کیاہ چھہ کرُن تیلہ اَنِ تو کھ سانِ مالِ بڈ بب تم سپد تن

الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ ۭ اَهْلَكْنٰهُمْ ۡ اِنَّهُمْ كَانُوْا مُجْرِمِيْنَ ﴿۳۷﴾ وَمَا خَلَقْنَا السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَا لٰعِبِيْنَ ﴿۳۸﴾ مَا خَلَقْنٰهُمَآ اِلَّا بِالْحَقِّ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۳۹﴾ اِنَّ يَوْمَ الْفَصْلِ مِيْقَاتُهُمْ اَجْمَعِيْنَ ﴿۴۰﴾ يَوْمَ لَا يُغْنِيْ مَوْلًى عَنْ مَّوْلًى شَيْـــًٔا وَّلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ ﴿۴۱﴾ اِلَّا مَنْ رَّحِمَ اللّٰهُ ۭ اِنَّهٗ هُوَ الْعَزِيْزُ الرَّحِيْمُ ﴿۴۲﴾ اِنَّ شَجَرَتَ الزَّقُّوْمِ ﴿۴۳﴾ طَعَامُ الْاَثِيْمِ ﴿۴۴﴾ كَالْمُهْلِ ۚ يَغْلِيْ

---

بيہِ زنده اَهُمْ خَيْرٌ اَمْ قَوْمُ تُبَّعٍ ۙ وَّالَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ كياه سنا تمِ قريش چھا قوتس ته شوكتس منز زياده كنه تبع (يمنه كس پادشاه) سُند قوم يا يم لوكھ تمن برونٹھ آسِ عادو ثمودو غيره اَهْلَكْنٰهُمْ اِنَّهُمْ كَانُوْا مُجْرِمِيْنَ اَسه ؤچھ نه تمن كينهه۔ اَسهِ كَر تمِ هلاک ته برباد۔ كيازِه تمِ آس سخت نافرمان۔ هرگاه يم قريش مكک كافر نافرمانی نِشهِ بازمنِ نه يم كتھه گَنِّى بچاوَن سانهِ عذابه نِشهِ پَنُن پان وَمَا خَلَقْنَا السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَا لٰعِبِيْنَ بيہِ گرِ نه اَسهِ پاده آسمان ته زمين بيہِ يہ تمن منز چھ يمهِ طريقه كهِ اَسِ كياه اَسِ اكھ عبث ته بے هوده كاماه كران مَا خَلَقْنٰهُمَآ اِلَّا بِالْحَقِّ اَسهِ يلهِ تگ يم يتھ بڈ مخلوق پاده كرنِ اَسهِ نِش كياه عجايب چھ انسان مرنه پتهِ بيہِ زنده كرُن وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ليكن اكثر لوكھ چھنهِ زانان اِنَّ يَوْمَ الْفَصْلِ مِيْقَاتُهُمْ اَجْمَعِيْنَ پتز پاٹھ فيصلك دوه يعنے قيامتُك دوه چھ سارنے هندِه دوباره زنده سپُد نك بيہِ جزاءِ دِنُک وَقت مقرّر كرنه آمُت يَوْمَ لَا يُغْنِيْ مَوْلًى عَنْ مَّوْلًى شَيْـــًٔا وَّلَا هُمْ يُنْصَرُوْنَ يمهِ دوه نه كانهه تعلق دار كانسهِ تعلقدارس بكاريہ نه هيكهِ كانسهِ هندِه طرفه كانهه مددے كانسهِ واتتھ اِلَّا مَنْ رَّحِمَ اللّٰهُ اِنَّهٗ هُوَ الْعَزِيْزُ الرَّحِيْمُ مگر يمن پيٹھ الله تعالىٰ اَن رحم كورمُت آسهِ يعنى باايمان تمن بيہِ ياری ته مدد كرنه بيہِ گرن تمِ ته مدداكھ اَكس شفاعته سيت۔ بے شک الله تعالىٰ چھ غالِب ته زبردَست۔ سُه هيہِ كافرن نِشهِ انتقام۔ يُس سُه وَكرِه ته بيزار آسه تَس هيكهِ نه مَددكرِتھ كانهه بيہِ چھ سُه رحمته وول يمن تهنز رحمت شامِل حال آسهِ تمن ديہِ سُه شفاعتُك مرتبه اِنَّ شَجَرَتَ الزَّقُّوْمِ ٭ طَعَامُ الْاَثِيْمِ ٭

فِي الْبُطُونِ ﴿٤٥﴾ كَغَلْيِ الْحَمِيمِ ﴿٤٦﴾ خُذُوهُ فَاعْتِلُوهُ إِلَىٰ سَوَاءِ
الْجَحِيمِ ﴿٤٧﴾ ثُمَّ صُبُّوا فَوْقَ رَأْسِهِ مِنْ عَذَابِ الْحَمِيمِ ﴿٤٨﴾
ذُقْ إِنَّكَ أَنْتَ الْعَزِيزُ الْكَرِيمُ ﴿٤٩﴾ إِنَّ هَٰذَا مَا كُنْتُمْ بِهِ
تَمْتَرُونَ ﴿٥٠﴾ إِنَّ الْمُتَّقِينَ فِي مَقَامٍ أَمِينٍ ﴿٥١﴾ فِي جَنَّاتٍ وَعُيُونٍ ﴿٥٢﴾
يَلْبَسُونَ مِنْ سُنْدُسٍ وَإِسْتَبْرَقٍ مُتَقَابِلِينَ ﴿٥٣﴾ كَذَٰلِكَ وَزَوَّجْنَاهُمْ
بِحُورٍ عِينٍ ﴿٥٤﴾ يَدْعُونَ فِيهَا بِكُلِّ فَاكِهَةٍ آمِنِينَ ﴿٥٥﴾ لَا يَذُوقُونَ

---

كَالْمُهْلِ يَغْلِي فِي الْبُطُونِ * كَغَلْيِ الْحَمِيمِ پٔز پأٹھ زقومک کُل چھُ نافرمانَن ہُند غذا۔ تمیُک رنگ
آسہِ ہلمہِ ہُند۔ سُی آسہِ گریکان تھزن یڈن منز یتھ پأٹھ آبہ رَسر چھ دیگہِ منز گروہ تہ کران۔ خُذُوهُ
فَاعْتِلُوهُ إِلَىٰ سَوَاءِ الْجَحِيمِ الله تعالیٰ فرماوِ عذابہ کین ملکن رٹیون یہِ کافر تو پتہ نیُون کھکھرِ ہ۔
تراویون منز باگ جہنمَس ثُمَّ صُبُّوا فَوْقَ رَأْسِهِ مِنْ عَذَابِ الْحَمِيمِ تو پتہ تراوِواَمِس کلہ پیٹھی
سورَسراہ یمہِ سیت زیادہ عذاب واتیں۔ ذُقْ إِنَّكَ أَنْتَ الْعَزِيزُ الْكَرِيمُ عذابک ملکھ وَنہ نَسِ وَچھ
مَزہ یمہِ عذابُک۔ بے شک ژہ اوسکھنا پنہ نِس قومَس منز بوڈ تہ زیٹھ پانَس زانان یہِ چھُے ژیہ تعظیم و
تکریم کرنہ یوان۔ یتھ پأٹھی ژہ پنہ نِس پانَس مُعظمہ و مکرم زانتھ سانین احکامَن تحقیر تہ عار اوسکھ
کران جہنمّین یہِ وَنہ إِنَّ هَٰذَا مَا كُنْتُمْ بِهِ تَمْتَرُونَ بے شک عذاب کیاہ گوو سُی یتھ تو ہہ شکھ اَسوہ
کران إِنَّ الْمُتَّقِينَ فِي مَقَامٍ أَمِينٍ بے شک تمِ خدایس کھوژہ ونِ آسَن تمِ آسن اَمن و آرامچہِ جایہِ
منز محفوظ فِي جَنَّاتٍ وَعُيُونٍ یعنے باغَن تہ ناگہ رادَن منز يَلْبَسُونَ مِنْ سُنْدُسٍ وَإِسْتَبْرَقٍ مُتَقَابِلِينَ نالِ
لاگن تمِ زاوِل تہ موٹہِ پاٹکِ جامہ اکھ اَکس سیدہ سیود آسَن بِہتھ۔ كَذَٰلِكَ وَزَوَّجْنَاهُمْ بِحُورٍ عِينٍ بیہ
گرِ وأسِ تمن نیتھر جنتہ چَن حورَن سیت یمہ پرینہِ تہ اَچھ وچھہِ کٔرِ تھ آسن يَدْعُونَ فِيهَا بِكُلِّ فَاكِهَةٍ
آمِنِينَ منگہ ناوان آسن تمِ جنتن منز اطمینان سان پرِیتھ میوہ لَا يَذُوقُونَ فِيهَا الْمَوْتَ إِلَّا الْمَوْتَةَ
الْأُولَىٰ ژہن نہ تتہِ موتُک مزہ مگر سُی گوڈنِک موت تمیُک مزہ تمو دنیاءَس منز ژُہمت آسہِ یعنے تتہِ

فِيهَا الْمَوْتَ إِلَّا الْمَوْتَةَ الْأُولَىٰ ۖ وَوَقَاهُمْ عَذَابَ الْجَحِيمِ ﴿٥٦﴾ فَضْلًا مِّن رَّبِّكَ ۚ ذَٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيمُ ﴿٥٧﴾ فَإِنَّمَا يَسَّرْنَاهُ بِلِسَانِكَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُونَ ﴿٥٨﴾ فَارْتَقِبْ إِنَّهُم مُّرْتَقِبُونَ ﴿٥٩﴾

---

مَرن نه تم زانه ته وَوَقٰهُمْ عَذَابَ الْجَحِيْمِ ۙ ۽ رَڇهِ تن الله تعالیٰ جهنم کهِ عذاب نشهِ فَضْلًا مِّنْ رَّبِّكَ ۽ سوڙے آسهِ تن تهندِس پروردگاره سُند فضل ته مهرباني ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيْمُ ۽ئے گئيهِ بڈرستگاري ته کاميابي فَاِنَّمَا يَسَّرْنٰهُ بِلِسَانِكَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُوْنَ ۽ قرآن مجيد کور آسهِ سهل ته آسان امي موکهِ تهندهِ لُغته يعنے بزبانِ عربي يتهِ تن لوکن فکرهِ تيرِ ته تمِ نصيحت رَٹن يلهِ نه اَمهِ سيت تهِ تمن کينهه بنهِ فَارْتَقِبْ اِنَّهُمْ مُّرْتَقِبُوْنَ پس پياريُو تهِ تمن کياه بنهِ تمِ ڇهِ پياره ون ئه تهند حال کياه سپده۔ تهندهِ حقه سَپده عذاب، تهندهِ حقهٕ آسهِ نُصرت وياَري



## سُورَةُ الجَاثِيَة

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

حٰمٓ ﴿۱﴾ تَنْزِيْلُ الْكِتٰبِ مِنَ اللّٰهِ الْعَزِيْزِ الْحَكِيْمِ ﴿۲﴾ اِنَّ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ لَاٰيٰتٍ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ ﴿۳﴾ وَفِيْ خَلْقِكُمْ وَمَا يَبُثُّ مِنْ دَآبَّةٍ اٰيٰتٌ لِّقَوْمٍ يُّوْقِنُوْنَ ﴿۴﴾ وَاخْتِلَافِ الَّيْلِ وَالنَّهَارِ وَمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ مِنَ السَّمَآءِ مِنْ رِّزْقٍ فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا وَتَصْرِيْفِ الرِّيٰحِ اٰيٰتٌ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ ﴿۵﴾ تِلْكَ اٰيٰتُ اللّٰهِ نَتْلُوْهَا

---

حٰمٓ یمہِ زہ حروفِ مُقطعا تو اَندرہ۔ یمن ہُند معنی زانہِ پانہ خدا تَنْزِيْلُ الْكِتٰبِ مِنَ اللّٰهِ الْعَزِيْزِ الْحَكِيْمِ یمہِ کتابہِ ہُند نازل سُپدن چھہ اللہ تعالیٰ سندِہ طرفہ یُس سیٹھاہ غالب چھہ سیٹھاہ حکمتہ وول چھہ۔ لہٰذا گژھن اَمکِ مضامین بوزنِ توجہہ سان اِنَّ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ لَاٰيٰتٍ لِّلْمُؤْمِنِيْنَ بے شک آسمانَن تہ زمینن منز بیہِ تمن منز چھہ تتھ منز چھہِ وارِیاہِ نِشانہ قدرتکِ تہ توحیدک باایمانَن ہندِہ استدلال کرنہ خاطرہ وَفِيْ خَلْقِكُمْ وَمَا يَبُثُّ مِنْ دَآبَّةٍ اٰيٰتٌ لِّقَوْمٍ يُّوْقِنُوْنَ بیہِ چھہِ تِتھے پاٹھ تہندِس پادہ گرہ نَس منز بیہِ حیوانا تَن ہندِس پادہ کرہ نس منز، یمہِ تمیٚ زمینس منز چھکراوی تمن سارِنے منز چھہِ بڈ بڈ نِشانہ خدایہِ سندِہ قدرتک تمن لوکن ہندِہ خاطرہ یمہِ یقین تہ پژھہ تھاوان چھہِ وَاخْتِلَافِ الَّيْلِ وَالنَّهَارِ وَمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ مِنَ السَّمَآءِ مِنْ رِّزْقٍ فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا وَ تَصْرِيْفِ الرِّيٰحِ اٰيٰتٌ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ تِتھے پاٹھ چھہِ راتہ کس تہ دُہہِ کِس اکھ اَکِس پتہ یِنَس گژھہ نَس منز، تتھ رزقہ کِس بارس منز یُس آسمانکہِ طرفہ اللہ تعالیٰ تراوان چھہ یعنے رود یمہِ سیت مردہ گامتس زمینس زِندہ گران چھہ۔ تِتھے پاٹھ واوَن ہندس اورہ یور پھیرنَس منز چھہِ بڈ بڈ نِشانہ تمن لوکن ہندہ خاطرہ یمہِ گاٹلِ چھہِ۔ یمن عقلِ سلیم چھہ تِلْكَ اٰيٰتُ اللّٰهِ

عَلَيْكَ بِالْحَقِّ ۚ فَبِأَيِّ حَدِيثٍ بَعْدَ اللَّهِ وَآيَاتِهِ يُؤْمِنُونَ ۞٦ وَيْلٌ لِّكُلِّ أَفَّاكٍ أَثِيمٍ ۞٧ يَسْمَعُ آيَاتِ اللَّهِ تُتْلَىٰ عَلَيْهِ ثُمَّ يُصِرُّ مُسْتَكْبِرًا كَأَن لَّمْ يَسْمَعْهَا ۖ فَبَشِّرْهُ بِعَذَابٍ أَلِيمٍ ۞٨ وَإِذَا عَلِمَ مِنْ آيَاتِنَا شَيْئًا اتَّخَذَهَا هُزُوًا ۚ أُولَٰئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ مُّهِينٌ ۞٩ مِّن وَرَائِهِمْ جَهَنَّمُ ۖ وَلَا يُغْنِي عَنْهُم مَّا كَسَبُوا شَيْئًا وَلَا مَا اتَّخَذُوا مِن دُونِ اللَّهِ أَوْلِيَاءَ ۖ وَلَهُمْ عَذَابٌ عَظِيمٌ ۞١٠ هَٰذَا هُدًى ۖ وَالَّذِينَ كَفَرُوا بِآيَاتِ رَبِّهِمْ لَهُمْ

---

نَتْلُوهَا عَلَيْكَ بِالْحَقِّ یم چھِ خدایہ سندِ صَحیح صحیح آیات یم اَسِ پَران چھِ توہِ پیٹھ یمو سیت نبوّت ثابت سپدان چھہ۔ لیکن ہر گاہ تِمہ تو تہِ مانو نہ فَبِأَيِّ حَدِيثٍ بَعْدَ اللَّهِ وَآيَاتِهِ يُؤْمِنُونَ پس اللہ تعالیٰ بیہ تِہندِ یو تِتھیو آیا تو پتہ کتھ سناکتھ یوسہ اَمہِ خو تہ بڈ آسہِ اَنِ تمِ ایمان وَيْلٌ لِّكُلِّ أَفَّاكٍ أَثِيمٍ بڈ خرابی چھہ پرِیتھ تِتھِس شخصہ سندہ خاطرہ یُس عقایدن اندر اپزیور آسہ۔ عملن اندر نافرمان بدکار آسہِ يَسْمَعُ آيَاتِ اللَّهِ تُتْلَىٰ عَلَيْهِ ثُمَّ يُصِرُّ مُسْتَكْبِرًا كَأَن لَّمْ يَسْمَعْهَا یُس باوجودِ اینکہ بوزان آسہِ خدایہ سند آیات یمِ تِس برونٹھہ کُنہِ پَرنہ یِوان چھِ تو پتہ تہِ چھہ سُہ تکبّر و غرور کَرِتھ کفرس پیٹھ ڈاڈ کران زَن نہ تِمِ تمِ آیات بوزی متی چھِ فَبَشِّرْهُ بِعَذَابٍ أَلِيمٍ پس وَنِو تِمہ تِتھِس شخصَس کُڈرِہ عذابچ بشارت وَإِذَا عَلِمَ مِنْ آيَاتِنَا شَيْئًا اتَّخَذَهَا هُزُوًا یلہِ سُہ سانیو آیا تو اَندرہ کُنہِ آیتچ خبر چھہ بوزان تتھ چھہ ٹھٹھہ تہ مخولہ کران أُولَٰئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ مُّهِينٌ تِمنے لوگن ہندہ خاطرہ چھہ آخر تِس اندر ذلتک عذاب مِّن وَرَائِهِمْ جَهَنَّمُ وَلَا يُغْنِي عَنْهُم مَّا كَسَبُوا شَيْئًا وَلَا مَا اتَّخَذُوا مِن دُونِ اللَّهِ أَوْلِيَاءَ تِمن چھہ برونٹھ یِوان جہنّم تمہِ ساتہ دِن نہ تم چیز تِمن کانہہ نفع تہ فایدہ یِم چیز تِمو دنیاہس منز حاصل کَرمتِ آسن مالہ تہ عملو اَندرہ۔ نہ دِنکھ معبودانِ باطِل کانہہ نفع تہ فایدہ۔ یمن معبودِ برحقّس ورائے تمِ پننِ مددگار تہ کارساز زانان آسِ وَلَهُمْ عَذَابٌ عَظِيمٌ تِہندی خاطرہ چھہ بوڈ عذاب۔ اَمہِ عذابک وجہ چھہ ای زِہ هَٰذَا هُدًى یہِ

عَذَابٌ مِّنْ رِّجْزٍ اَلِيْمٌ ﴿۱۱﴾ اَللّٰهُ الَّذِيْ سَخَّرَ لَكُمُ الْبَحْرَ لِتَجْرِيَ الْفُلْكُ فِيْهِ بِاَمْرِهٖ وَلِتَبْتَغُوْا مِنْ فَضْلِهٖ وَلَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ﴿۱۲﴾ وَسَخَّرَ لَكُمْ مَّا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا مِّنْهُ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ ﴿۱۳﴾ قُلْ لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا يَغْفِرُوْا لِلَّذِيْنَ لَا يَرْجُوْنَ اَيَّامَ اللّٰهِ لِيَجْزِيَ قَوْمًا بِمَا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ﴿۱۴﴾ مَنْ عَمِلَ صَالِحًا

---

قرآن مجید چھُہ سراسر بوڈ ہدایت تہٕ واجب التسلیم وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِاٰيٰتِ رَبِّهِمْ لَهُمْ عَذَابٌ مِّنْ رِّجْزٍ اَلِيْمٌ یِم لوکھ انکار چھِ کران پننہٕ نِس پروردگار سندین آیاتن۔ تِہندِ خاطرہ چھُہ عذاب دگ تہٕ دود تلہ ونہِ عذاب منزہ اَللّٰهُ الَّذِيْ سَخَّرَ لَكُمُ الْبَحْرَ لِتَجْرِيَ الْفُلْكُ فِيْهِ بِاَمْرِهٖ معبودِ برحق گووسی یِم تُہندِ نفعہ خاطرہ مسخر قدرت کُر دریاو۔ یتھ ناوہ تہٕ جہاز پکن تتھ منز تہندِ حُکمہ سیت وَلِتَبْتَغُوْا مِنْ فَضْلِهٖ وَلَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ بیہِ یُتھہِ تِمن جہازن منز سوار سپد تھ ژھانڈوتھہ خدایہِ سنُد فضل تہٕ رِزق بیہِ یتھ تھہ سُہ رِزِق حاصِل کرتھ شکر گذاری کُرِ و تھز وَسَخَّرَ لَكُمْ مَّا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ جَمِيْعًا مِّنْهُ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ یتھے پأٹھ یِم چیز آسمانن تہٕ زمین اندر چھِ تِم ساری چیز کُرن پننہِ حُکمہ سیت تہٕ پننہِ فضلہ سیت مُسخّر قدرت یُتھ تُہندِ نفعُک تہٕ فایدُک سبب بنن۔ یِنز پأٹھ اتھ منز چھِ بڈ بڈ نشانہ تہٕ آیات تِمن لوکن ہندِ خاطرہ یِم فکر کرن تہٕ غور کرن کہ یِم چیز یلہِ سانہ خاطر چھِ کامہِ لگ مِت اَسہِ تہٕ ماپزہِ ہاپننہِ تتھ کامہ سیت یمہِ خاطرہ اَسِ خدایَن پادہ کُر مت آسِ لگتھ روزُن قُلْ لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا يَغْفِرُوْا لِلَّذِيْنَ لَا يَرْجُوْنَ اَيَّامَ اللّٰهِ فرماوِتھہ یارسول اللہ باایمانَن کہِ درگذر تہٕ عفو کرن تِمن لوکن یِمن نہ پزھہ تہٕ امید چھُہ اللہ تعالیٰ سندین اُخروی معاملن ہنز یعنے یِم آخر تک منکر چھِ۔ یتہِ اللہ تعالیٰ نیکو کارن رژ مزوری عطا کرہِ تہٕ نافرمانن عذابس گرفتار کرہِ لِيَجْزِيَ قَوْمًا بِمَا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ یتھ اللہ تعالیٰ اکس قومس یعنے باایمانن تِمن رژن عملن ہُند رُت ثواب عطا کرہِ یمہِ تِم کران آسِ کیازِہ تِس نِش چھُہ قاعدِہ کُلیہ کہِ مَنْ عَمِلَ صَالِحًا فَلِنَفْسِهٖ یُس اکھ رژ عمل کرِہ تمیُک نفع تہٕ ثواب چھُہ تِس پانس وَمَنْ

فَلِنَفْسِهٖ ۚ وَمَنْ اَسَآءَ فَعَلَيْهَا ۫ ثُمَّ اِلٰى رَبِّكُمْ تُرْجَعُوْنَ ۝۱۵ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ الْكِتٰبَ وَالْحُكْمَ وَالنُّبُوَّةَ وَرَزَقْنٰهُمْ مِّنَ الطَّيِّبٰتِ وَفَضَّلْنٰهُمْ عَلَى الْعٰلَمِيْنَ ۝۱۶ وَاٰتَيْنٰهُمْ بَيِّنٰتٍ مِّنَ الْاَمْرِ ۚ فَمَا اخْتَلَفُوْٓا اِلَّا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَهُمُ الْعِلْمُ ۙ بَغْيًاۢ بَيْنَهُمْ ۭ اِنَّ رَبَّكَ يَقْضِيْ بَيْنَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ ۝۱۷

---

اَسَآءَ فَعَلَيْهَا بیہِ یُس اکھاہ بیچھ عمل کرِہ تمیُک ضرر چھُہ تَس پانَس ثُمَّ اِلٰى رَبِّكُمْ تُرْجَعُوْنَ تو پتہ ایو تھہٕ ساری واتناونہ پنہ نِس پروردگارس نِشہِ تتہِ بیہِ توہہِ رژن عملن تہ رتین اخلاقن ہُند رُت بدلہ عطا کرنہ۔ تُھندین مخالِفن بیہِ کفروشرکک تہ معاصین ہُند بیچھ عذاب کرنہ۔ لہذا پزِہ نہ توہہِ معاملہ پنہ نِس اَتھس منز نِتھ تمن یتہِ کُنہِ قسمُک سزادیُن توہہ پزِہ درگذر تہ عفوے کرُن۔ البتہ اگر اعلاءِ کلمتہ اللہ خاطرہ تمن سیت باقاعدہ جہاد بیہِ کرُن تتھ چھنہ کانہہ چارہ وَلَقَدْ اٰتَيْنَا بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ الْكِتٰبَ وَالْحُكْمَ وَالنُّبُوَّةَ وَرَزَقْنٰهُمْ مِّنَ الطَّيِّبٰتِ نبوّت چھنہ کانہہ نووچیز اہ یتھ اِنکار بیہِ کرنہ۔ چنانچہ اَزکہِ برونٹھ کُر اَسہِ عطا بنی اسرائیلن اکھ کتابِ آسمانی بیہِ حکمت یعنے علمِ احکام بیہِ نبوّت یعنے تموآندرہ کُر اَسہِ پیغمبر پیدا۔ بیہِ کھیاوی اَسہِ تمِ پاک وپاکیزہ نفیس نفیس غذا امیدانِ تہیہ منز کور اَسہِ تمن پیٹھ من وسلوی نازل۔ بیہِ بناوی اَسہِ تمِ مُلک شامک مالِک یُس برکاتِ ارضیُک منبع چھُہ وَفَضَّلْنٰهُمْ عَلَى الْعٰلَمِيْنَ بیہِ دُیت اَسہِ تمن فضیلت پننہِ وقتہ کین سارنے لوکن پیٹھ بعضے چیزَو سیت مثلاً بحرِ قلزمس باہ کوچہِ کرنہ سیت۔ بیہِ اوبرکہِ سائبانہ سیت وَاٰتَيْنٰهُمْ بَيِّنٰتٍ مِّنَ الْاَمْرِ بیہِ دِژہ اَسہِ تمن دینہ کِس معاملس منز ننہِ دلیلہ یعنے تمن ہاو ننی معجزات۔ پَس پزِہ ہا تمن پور اطاعت تہ فرماں برداری کرنِ فَمَا اخْتَلَفُوْٓا اِلَّا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَهُمُ الْعِلْمُ بَغْيًاۢ بَيْنَهُمْ مگر تموکور اختلاف پانہ وانِ علم حاصل سپدنہ پتہ اکھ اکِ سنٔدہِ ضِدہ تہ عداوتہ موکھہ اِنَّ رَبَّكَ يَقْضِيْ بَيْنَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ بے شک تُھند پروردگارہ کرِہ فاصلہ تمن منز قیامتُک دوہ تمن سارِنے چیزن منز تمن منز تمِ اختلاف کران آسِ۔ تو پتہ بنی اسرائیلن اندر

ثُمَّ جَعَلْنٰكَ عَلٰى شَرِيْعَةٍ مِّنَ الْاَمْرِ فَاتَّبِعْهَا وَلَا تَتَّبِعْ اَهْوَآءَ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۱۸﴾ اِنَّهُمْ لَنْ يُّغْنُوْا عَنْكَ مِنَ اللّٰهِ شَيْـًٔا ۭ وَ اِنَّ الظّٰلِمِيْنَ بَعْضُهُمْ اَوْلِيَآءُ بَعْضٍ ۚ وَاللّٰهُ وَلِيُّ الْمُتَّقِيْنَ ﴿۱۹﴾ هٰذَا بَصَآئِرُ لِلنَّاسِ وَهُدًى وَّرَحْمَةٌ لِّقَوْمٍ يُّوْقِنُوْنَ ﴿۲۰﴾ اَمْ حَسِبَ الَّذِيْنَ اجْتَرَحُوا السَّيِّاٰتِ اَنْ نَّجْعَلَهُمْ كَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ ۙ سَوَآءً مَّحْيَاهُمْ وَمَمَاتُهُمْ ۭ سَآءَ مَا يَحْكُمُوْنَ ﴿۲۱﴾ ع

---

دوره نبوّت ختم گرڈهنه پته۔ ثُمَّ جَعَلْنٰكَ عَلٰى شَرِيْعَةٍ مِّنَ الْاَمْرِ تو پته ڈیت اسهِ نبوّت توهہ۔ اسهِ کَرِ وه تُهه یا رسول الله دینه کِس اَکِس خاص طریقس پیٹھ فَاتَّبِعْهَا وَلَا تَتَّبِعْ اَهْوَآءَ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ لهٰذا اپکوِ تُهه تتھ طریقس پیٹھ یعنے عملهِ کرِن ته تبلیغه کرِن ته۔ تُهه مه کرِو پیروی تِمن لوکن هنز تِمن نه حقیقت حالچ کهنی خبر چهه۔ تهنزه خاهشهِ موجب مه پکوتُهه۔ تهنزِ خاهش چهه که تُهه تراوِو تبلیغ کرُن اِنَّهُمْ لَنْ يُّغْنُوْا عَنْكَ مِنَ اللّٰهِ شَيْـًٔا بے شک تِم هیکن نه کانهه فایده واتناوِتھ توهه خدایس نشهِ نه هیکن تهنز کانهه کاماه کرِتھ وَ اِنَّ الظّٰلِمِيْنَ بَعْضُهُمْ اَوْلِيَآءُ بَعْضٍ وَاللّٰهُ وَلِيُّ الْمُتَّقِيْنَ بیشک ظالم یعنی مُشرک چههِ اَڈی اَڈین هندی دوست اکھ اَکی سنزه کتھ مانان۔ الله تعالیٰ چهه دوست پرهیزگارن ته اهلِ تقویٰ ان هُند۔ اهلِ تقویٰ چههِ خدایه سُندُے حکم مانان۔ تُهه چهِوه رئیس المتقّین۔ توههِ ته پزهِ الله تعالیٰ سُند حکم مانُن هٰذَا بَصَآئِرُ لِلنَّاسِ وَهُدًى وَّرَحْمَةٌ لِّقَوْمٍ يُّوْقِنُوْنَ یهِ قرآنِ مجید یُس توهه عطا آو کرنه یهِ چهه عام لوکن هندهِ خاطره عقلهِ ته دانِش مندی هُند سبب بیهِ هدایتُک بوڈ ذریعه یقینه والین هندهِ خاطره بڈ رحمت اَمْ حَسِبَ الَّذِيْنَ اجْتَرَحُوا السَّيِّاٰتِ اَنْ نَّجْعَلَهُمْ كَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ کیاه تِم قیاس اِنکار کره ون لوکھ تِم یِمچھ کامه شرک وکُفر ته ظلم و مُعصیت چههِ کران تِمن چھا خیال که تِم کیاه تھاوو کھ آسِ برابر تِمن لوکن سیت یِمو ایمان اون بیهِ کریکھ رژه عملهِ سَوَآءً مَّحْيَاهُمْ وَمَمَاتُهُمْ سَآءَ مَا يَحْكُمُوْنَ تهند مرُن ته زیُون کیاه آسهِ برابرے یعنے باایمانن هُند مرُن ته زیون کیاه چهه تِمهِ معنے برابرے که یتھه پاٹھه تِم دنیاءس

وَخَلَقَ اللّٰهُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ وَلِتُجْزٰى كُلُّ نَفْسٍۭ بِمَا كَسَبَتْ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ ﴿۲۲﴾ اَفَرَءَيْتَ مَنِ اتَّخَذَ اِلٰهَهٗ هَوٰىهُ وَاَضَلَّهُ اللّٰهُ عَلٰى عِلْمٍ وَّخَتَمَ عَلٰى سَمْعِهٖ وَقَلْبِهٖ وَجَعَلَ عَلٰى بَصَرِهٖ غِشٰوَةً ؕ فَمَنْ يَّهْدِيْهِ مِنْۢ بَعْدِ اللّٰهِ ؕ اَفَلَا تَذَكَّرُوْنَ ﴿۲۳﴾ وَقَالُوْا مَا هِىَ اِلَّا حَيَاتُنَا الدُّنْيَا نَمُوْتُ وَنَحْيَا وَمَا يُهْلِكُنَاۤ اِلَّا الدَّهْرُ ۚ وَمَا لَهُمْ بِذٰلِكَ

---

اندر عقوبت وسزاءِ نشہِ محفوظ اَسِ تتھے پاٹھِ کیاروزن تم مرنہ پتہ تہِ محفوظے۔ تہِ ہر گز بنہِ نہ۔ سیٹھاہ پچھ چھِہ تہِ یمیگ تمِ حکم کران چھہِ۔ کیازہ صحیح دلیلو سیت چھِہ امیگ باطِل آسُن ثابت سپُد مُت۔ حیات اُخروی چھہِ اَمی خاطرہ کہِ یتھ پرِیتھ اکھاہ پنہ نین نیک وبد عملَن ہُند ثمرہ تہِ نتیجہ حاصِل کرہ۔ رژن عملَن رژ موزور۔ یچھ عملن یچھ موزور وَخَلَقَ اللّٰهُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ بیہِ کرٕ اللہ تعالیٰ ان آسمان تہِ زمین پادہ حکمت۔ سو حِکمت چھہِ یہے کہِ وَلِتُجْزٰى كُلُّ نَفْسٍۭ بِمَا كَسَبَتْ بیہِ یتھ بدلہ یِیہِ دنہ پرِیتھ شخص تمیگ یہ تِمٕ کورمُت آسہِ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ لوکن یِیہِ نہ ظلم کرنہ کُنہِ قسمہ اَفَرَءَيْتَ مَنِ اتَّخَذَ اِلٰهَهٗ هَوٰىهُ وَاَضَلَّهُ اللّٰهُ عَلٰى عِلْمٍ وَّخَتَمَ عَلٰى سَمْعِهٖ وَقَلْبِهٖ وَجَعَلَ عَلٰى بَصَرِهٖ غِشٰوَةً وچھان چھوہ تس شخصہ سندس حالتس کُن یم معبود پنہ بنومُت چھہِ پننہِ نفسچ خواہش۔ یہِ دِلس منزیوان چھُس تس چھہِ پیروی کران۔ اللہ تعالیٰ اَن کورسہٕ گمراہ۔ حالانکہِ سہٕ اوس زان پچھَان تھوان یعنے پوز اوس سہٕ بوزان تہِ فکرِہ اوسُس تران۔ مگر نفسہ چہِ خاہشہ اتباع کرنہ سیت سپُد سہٕ گمراہ۔ تمِ بوزہ نَن تہِ فکرِہ ترہ نَن دُیتُس نہ کانہہ فایداہ بلکہ کرٕ اللہ تعالیٰ اَن تہندین کنن تہِ تمِ سندِس دِلس پیٹھ موہر تہنزن اَچھن پیٹھ تروٗن پردہ تہِ ٹھور۔ اَمی اتباعِ ہواءکہِ شامتہ، چنانچہِ حق قبول کرہ نگ یُس کم زیادہ استعداداہ تس اوس سہٕ سپُدس مضمحل تہِ کمزور فَمَنْ يَّهْدِيْهِ مِنْۢ بَعْدِ اللّٰهِ پس کُنہہ اکھاہ ہیکہ یتھس شخصس وَتھ ہاوِتھ خدایہِ سندِہ گمراہ کرنہ پتہ اَفَلَا تَذَكَّرُوْنَ کیاہ تِمٕ بیانات بوز تھ تہِ چھوہ ناتوہہِ فکرِہ تران تتھ پاٹھِ یتھہ پاٹھِ توہہِ نفعاہ تہِ فایداہ واتناوِہا وَقَالُوْا مَا هِىَ اِلَّا حَيَاتُنَا الدُّنْيَا نَمُوْتُ وَنَحْيَا بیہِ چھہِ ونان قیامتس انکار کرہ وِن کہِ یمہِ دنیا

مِنْ عِلْمٍ ۚ اِنْ هُمْ اِلَّا يَظُنُّوْنَ ﴿۲۴﴾ وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ
مَّا كَانَ حُجَّتَهُمْ اِلَّآ اَنْ قَالُوا ائْتُوْا بِاٰبَآئِنَآ اِنْ كُنْتُمْ
صٰدِقِيْنَ ﴿۲۵﴾ قُلِ اللّٰهُ يُحْيِيْكُمْ ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ ثُمَّ يَجْمَعُكُمْ اِلٰى
يَوْمِ الْقِيٰمَةِ لَا رَيْبَ فِيْهِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۲۶﴾ ع
وَلِلّٰهِ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ وَيَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ يَوْمَئِذٍ يَّخْسَرُ

---

چِہ زندگی ورائے چھنہ بیہِ کانہہ اُخروی زندگیاہ۔ موت تہٕ زندگی چھہ یتھہِ دنیاوی زندگی سیت وابستہ۔ زندگی تہٕ چھہ اَکے موت تہٕ چھہ اَکۍ وَمَا يُهْلِكُنَآ اِلَّا الدَّهْرُ بیہِ چھُنہ اَسہِ ماران مگر صرف زمانک گردِش وَمَا لَهُمْ بِذٰلِكَ مِنْ عِلْمٍ ۚ اِنْ هُمْ اِلَّا يَظُنُّوْنَ حقیقتس منز چھَنہ تِمن اَمِچ کانہہ خبر اہ۔ تِمہ چھنہ یہِ کتھہ وَنان مگر پننہِ طرفہ بے دلیل اکھ رایاہ قایم کران۔ یعنی آخرتچہِ زندگی ہِندس انکارہ کرہ نَس پیٹھ چھُنہ تِمن نِشہِ کانہہ دلیلاہ نہٕ چھہِ ہیکان تمِ اہل حقن ہنزہ دلیلہِ ہُند کانہہ جواباہ پیش کٔرِتھ۔ چنانچہ وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ مَّا كَانَ حُجَّتَهُمْ اِلَّآ اَنْ قَالُوا ائْتُوْا بِاٰبَآئِنَآ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ یلہِ پرنہ یوان چھہِ تِمن پیٹھ اتھ متعلق سانِ روشن تہٕ صاف آیات تِمن منز مرنہ پتہ بیہِ زندہ سپدُنک مضمون چھہ آسان تِہندہ طرفہ چھنہ تِتھ انکار کرنس پیٹھ کینہہ تہٕ دلیل آسان مگرتِتے کہ دَپنہِ لگان چھہِ کٔر توکھ زِندہ سانِ آباواجداد اگر دوبارہ زِندہ کرنس پیٹھ پوزنان چھِوہ۔ قُلِ اللّٰهُ يُحْيِيْكُمْ تُہہ فرماویوا رسول اللہ یمن لوکن اللہ تعالیٰ چھہ توہہ (کُنہ وقتس تام یتھ عالمس منز) زندہ تھاوان ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ امہ پتہ دِیہ سُہ توہہِ موت ثُمَّ يَجْمَعُكُمْ امہ پتہ کرہ سُہ توہہِ جمع اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ قیامتکس دوہس تام لَا رَيْبَ فِيْهِ اَتھ منز چھنہ کُنہ قسمک کانہہ شک وشُبہ یعنی قیامتکس ینس تہٕ تہندس امہ دوہہ جمع آسنس منز چھنہ کانہہ شک تہٕ شُبہ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ مگر اکثر لوکھ چھنہ یہِ زانان تہٕ سمجھان۔ اکثر لوکن ہندہ اَنجان لاگنہ سیت یانہ سمجھنہ سیت یانہ زاننہ سیت پییہ نہ قیامتکس حق آسنس پیٹھ کانہہ اثر۔ یا اتھ منز گژھنہ کانہہ شک تہٕ شُبہ پیدہ وَلِلّٰهِ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ بیہِ (چھہ یتہ حقیقت

الْمُبْطِلُوْنَ ﴿۲۷﴾ وَتَرٰى كُلَّ اُمَّةٍ جَاثِيَةً ۫ كُلُّ اُمَّةٍ تُدْعٰٓى اِلٰى كِتٰبِهَا ؕ

اَلْيَوْمَ تُجْزَوْنَ مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿۲۸﴾ هٰذَا كِتٰبُنَا يَنْطِقُ عَلَيْكُمْ

بِالْحَقِّ ؕ اِنَّا كُنَّا نَسْتَنْسِخُ مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿۲۹﴾ فَاَمَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا

وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فَيُدْخِلُهُمْ رَبُّهُمْ فِيْ رَحْمَتِهٖ ؕ ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ

الْمُبِيْنُ ﴿۳۰﴾ وَاَمَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ۫ اَفَلَمْ تَكُنْ اٰيٰتِيْ تُتْلٰى عَلَيْكُمْ

فَاسْتَكْبَرْتُمْ وَكُنْتُمْ قَوْمًا مُّجْرِمِيْنَ ﴿۳۱﴾ وَاِذَا قِيْلَ اِنَّ وَعْدَ

---

زہ) آسمانن تہ زمیچ بادشاہی چھ اللہ تعالیٰ ہَس۔ سارِی آسمان تہ زمین چھ تَسِ ماتحت وَيَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ تہ یمہِ دُہہ سوگر یعنی قیامت برپا سپدِ يَوْمَئِذٍ يَّخْسَرُ الْمُبْطِلُوْنَ تمہ دوہہ گژھہ گاٹے گاٹہ اَپزس پیرو کرن والین۔ یعنی یم حق تراوتھ کُنہِ مصلحتہ خاطرہ چھ اَپزس ساتھ دوان۔ اپزس چھ پیروی کران۔ تمن پیہ تتہِ تاون وَتَرٰى كُلَّ اُمَّةٍ جَاثِيَةً تہ ژہو چھہن پریتھ کانہہ آمت ہیبتہ تہ خوفہ سیت کوٹھین پیٹھ نمتھ كُلُّ اُمَّةٍ تُدْعٰٓى اِلٰى كِتٰبِهَا پریتھ کانہہ اُمت ییہ بُلاونہ پننہ کتابہ یعنی اعمال نامس کُن پریتھ اُمتس ییہِ ہاونہ سُہ کارنامہ یُس امہ کورمت آسہ۔ اَتی ییس ونہ اَلْيَوْمَ تُجْزَوْنَ ازییہ توہہ پُورہ جزادِنہ مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ تتھ سارسے کارس تمن سارنے کامین یمہ توہیہ دنیاہَس منز کران آسہ وہ هٰذَا كِتٰبُنَا یہ چھہ سانی کتاب سانی رجسٹر۔ يَنْطِقُ عَلَيْكُمْ بِالْحَقِّ یہ چھہ توہہ خلاف پوزپوز ونان اِنَّا كُنَّا نَسْتَنْسِخُ اَسِ آسِ درج تھاوان کرتھ اتھ رجسٹری منز پننہ جایہ مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ تہِ سورُے یہ توہے کران آس وہ یعنی تہند سورُے قول و فعل اوس اسہِ نِش تہ درج سپدان لہٰذا ییہ ازتوہہ اتھ سارسے قول و فعلس جزادنہ۔ فَاَمَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ ؤون یمو ایمان اون تہ اَتھِ مطابق کریکھ رژہ عملہ فَيُدْخِلُهُمْ رَبُّهُمْ فِيْ رَحْمَتِهٖ تہ تمن ولہ اللہ تعالیٰ پننہِ رحمت سیت ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْمُبِيْنُ یہے چھہ ننِ کامیابی وَاَمَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ووِن رود تم یمو کُفر کور۔ یمو حق تہ پوزمانس اِنکار کور اَفَلَمْ تَكُنْ اٰيٰتِيْ تُتْلٰى عَلَيْكُمْ یمن ییہ پرژھنہ کیا توہہ آئے نامیانِ پیغام پرتھ بوزناونہ فَاسْتَكْبَرْتُمْ

اللّٰہِ حَقٌّ وَّالسَّاعَةُ لَا رَیۡبَ فِیۡهَا قُلۡتُمۡ مَّا نَدۡرِیۡ مَا السَّاعَةُ
اِنۡ نَّظُنُّ اِلَّا ظَنًّا وَّمَا نَحۡنُ بِمُسۡتَیۡقِنِیۡنَ ﴿۳۲﴾ وَبَدَا لَهُمۡ سَیِّاٰتُ مَا
عَمِلُوۡا وَحَاقَ بِهِمۡ مَّا کَانُوۡا بِهٖ یَسۡتَهۡزِءُوۡنَ ﴿۳۳﴾ وَقِیۡلَ الۡیَوۡمَ
نَنۡسٰکُمۡ کَمَا نَسِیۡتُمۡ لِقَآءَ یَوۡمِکُمۡ هٰذَا وَمَاۡوٰکُمُ النَّارُ وَمَا لَکُمۡ
مِّنۡ نّٰصِرِیۡنَ ﴿۳۴﴾ ذٰلِکُمۡ بِاَنَّکُمُ اتَّخَذۡتُمۡ اٰیٰتِ اللّٰہِ هُزُوًا وَّغَرَّتۡکُمُ

---

توہہ آے میاںَ پیغام تہ احکام بوزناونہ مگر توہہ کوروہ تکبر توہہ تھوونہ زانہہ کن وَكُنْتُمْ قَوْمًا
مُّجْرِمِيْنَ تُہہ آسوہ وہ اکھ جُرم کرن وول قوم اللہ تعالیٰ سُند پیغام بوز تھ آسِوٚ وہ نہ پڑھ کران بلکہ
آسِوٚہ کبر تہ نخوت تہ سیت اتھ اِنکار کران تہ بوزہ ناون والین ٹھٹھہ تہ مذاق کران رنگہ رنگہ ایذاہ تہ تکلیف
دوان وَاِذَا قِيْلَ بیہ یلہ وننہ اوس یوان اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ زہ اللہ تعالیٰ سند وعدہ چھہ پوزا تھ ہیکہ نہ
خلاف سپد تھ وَّالسَّاعَةُ لَا رَيْبَ فِيْهَا تہ قیامت چھہ پزے اتھ منز چھنہ کنہ قسمک کانہہ شک تہ شُبہ
یہ سپدہ ضرور بر پا قُلْتُمْ توہے آسوہ اُورہ وَنان مَّا نَدْرِيْ مَا السَّاعَةُ اس چھنہ زانان زہ یہ قیامت
کیاہ گیہ اِنْ نَّظُنُّ اِلَّا ظَنًّا اَسِ چھنہ زانان صرف اکھ خیالا وَّمَا نَحْنُ بِمُسْتَيْقِنِيْنَ تہ اَسِ چھنہ یقین
تھاون والِ یعنی اسہ چھنہ یقین زہ کنیژن لکن ہند یہ گمان زہ قیامت سپد برپا چھہ پُوز۔ اسہ چھُنہ قیامس
پیٹھ کانہہ یقین وَبَدَا لَهُمْ سَيِّاٰتُ مَا عَمِلُوْا تہ یمن مجرمن نن ٹاکارہ پاٹھ پنُنِ بچھ کار وَحَاقَ بِهِمْ
ولہِ تمن نال مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ تہ یتھ تم ٹھٹھہ آسِ کران یعنی یتھ عذابس تہ یتھ سزاہس تم
پڑھ نہ آسنکھ سببہ ٹھٹھہ اَسِ کران سُے عذاب تہ سزاولہ یمن نال وَقِيْلَ بیہ ییہ یمن مُجرمن وننہ
الْيَوْمَ نَنْسٰىكُمْ ازچھ اَسِ توہہ مشراوان كَمَا نَسِيْتُمْ لِقَآءَ يَوْمِكُمْ هٰذَا یتھ پاٹھِ توہہ آسوہ مشرو وُمت
تہندہ یمہ دوہک یُن یتہ اَسہِ برونہہ کُن جزاتہ سزا باپتھ حاضر سپدن وَمَاْوٰىكُمُ النَّارُ وونِ چھہ تہنز چھین
جائے نار یعنی جہنم وَمَا لَكُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ بیہ چھُنہ تہندہ باپتھ کانہہ مددگار و منزہ توہ اوسوہ مشرومُت
قیامتُک برپا سپدُن اسہ سیت ملاقات کرن، عملن ہند جزایا سزا حاصل کرن۔ یہ تعلیم یلہ توہہِ باونہ آیہ

الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا ۚ فَالْيَوْمَ لَا يُخْرَجُوْنَ مِنْهَا وَلَا هُمْ يُسْتَعْتَبُوْنَ ﴿٣٥﴾
فَلِلّٰهِ الْحَمْدُ رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَرَبِّ الْاَرْضِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٣٦﴾
وَلَهُ الْكِبْرِيَآءُ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۖ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿٣٧﴾ ع

---

توہ کروہ نہ اتھ پڑھ توے کروہ لاپروائی۔ لہٰذا چھ اس تہ از توہ سیت لاپروائی ورتاوان۔ توہہ چھ پنہ نئن یچھ کارن ہند انجام نارو چھن تہ توہہ ہیکہ نہ کانہہ تہ امہ نش بچنس منز مدد کرتھ ذٰلِكُمْ بِاَنَّكُمُ اتَّخَذْتُمْ اٰيٰتِ اللّٰهِ هُزُوًا تھند یہ یچھ انجام چھ نتیجہ یمہ کتھ ہندزہ توہے آسوٚہ اللہ تعالیٰ سندین پیغامن مذاق زانان وَّغَرَّتْكُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا بیہ دیت توہہ دوکھ دنیاچہ زندگی یعنی دُنیہس منز یُس عیش تہ عشرت توہہ حاصل سپد امہ سیت لوگ توہہ دوکھ توہہ گئیہ رائے زہ یہ عیش تہ عشرت مُوکہ لی نہ زانہہ تہ توہہ چھوِیتی روزن فَالْيَوْمَ لَا يُخْرَجُوْنَ مِنْهَا لہٰذا ین نہ ازنیر کڈنہ امہِ نارہ منزہ یعنی از قیامتکِ دوہ چھ یمن ضرور نارس منز ایذاہ تُلن وَلَا هُمْ يُسْتَعْتَبُوْنَ تہ نہ ییہ یمن کانہہ عذر قبول کرنہ فَلِلّٰهِ الْحَمْدُ لہٰذا شوبن ساری حمد تہ ثنا اللہ تعالیٰ ہس رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَرَبِّ الْاَرْضِ یُس رُب چھ آسمانن ہندبیہ یُس رب چھ زمینک رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ یُس رُب چھ سارنے عالمن ہند وَلَهُ الْكِبْرِيَآءُ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ تہ تٔس چھ بجر تہ طاقت آسمانن تہ زمینس منز وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ تہ سوٚی چھ زبردست طاقتہ وول تہ حکمتہ وول۔



# سُوۡرَةُ الأَحۡقَافِ

بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ ○

حٰمٓ ۚ ① تَنۡزِيۡلُ الۡكِتٰبِ مِنَ اللّٰهِ الۡعَزِيۡزِ الۡحَكِيۡمِ ② مَا خَلَقۡنَا السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضَ وَمَا بَيۡنَهُمَاۤ اِلَّا بِالۡحَقِّ وَاَجَلٍ مُّسَمًّىؕ وَالَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا عَمَّاۤ اُنۡذِرُوۡا مُعۡرِضُوۡنَ ③ قُلۡ اَرَءَيۡتُمۡ مَّا تَدۡعُوۡنَ مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ اَرُوۡنِىۡ مَاذَا خَلَقُوۡا مِنَ الۡاَرۡضِ اَمۡ لَهُمۡ شِرۡكٌ فِى السَّمٰوٰتِؕ اِيۡتُوۡنِىۡ بِكِتٰبٍ مِّنۡ قَبۡلِ هٰذَاۤ اَوۡ

---

حٰمٓ یم چھِ حُروفِ مقطّعات۔ خدایِ سے چھ معلوم یمن ہُند معنی تَنۡزِيۡلُ الۡكِتٰبِ مِنَ اللّٰهِ الۡعَزِيۡزِ الۡحَكِيۡمِ قرآنِ مجیدُک نازِل سپدُن چھ تَس معبودِ برحقہ سندہ طرفہ یُس غالِب تہٕ حکمتہ وول چھ لہٰذا اگرٕھ اَمہِ کین مضمونن پیٹھ پور غور کرُن۔ مَا خَلَقۡنَا السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضَ وَمَا بَيۡنَهُمَاۤ اِلَّا بِالۡحَقِّ وَاَجَلٍ مُّسَمًّى اَسہِ کٔر نہ پادہ آسمان تہٕ زمین بیہِ یہِ تمن منز چھ، مگر حکمت بیہِ اکہ مقرّر تہٕ مُعیّن مُدتہ خاطرہ۔ سُہ مُدت گو وقتِ قیامِ قیامت۔ وَالَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا عَمَّاۤ اُنۡذِرُوۡا مُعۡرِضُوۡنَ مگر یِم لوکھ کافر چھِ تمن یِمو چیزو سیت توحیدہ کِس انکار کرنس پیٹھ بیم چھ کرنہ یوان تمِ چھنہ تتھ کُن کنہی توجہ تہٕ التفات کران۔ توحید چھنہ قبول کران قُلۡ اَرَءَيۡتُمۡ مَّا تَدۡعُوۡنَ مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ اَرُوۡنِىۡ مَاذَا خَلَقُوۡا مِنَ الۡاَرۡضِ اَمۡ لَهُمۡ شِرۡكٌ فِى السَّمٰوٰتِ تُہہ فرماویوکھ یا رسول اللہ یمن تُہہ خدایِ سنز عبادت تراوِتھ چھوہ عبادت کران تمن ہندِس مستحق عبادت آسنس پیٹھ کیاہ دلیل چھوہ توہہِ نِشہِ۔ اگر عقلی دلیل چھوہ میہ ہاو تو زمینگ کُہہ حِصہ چھ تِمو پادہ کورمُت۔ کِنہ آسمانہ کِس پادہ کرنس منز چھ تمن کانہہ شراکتھاہ۔ یہِ کتھ چھ ظاہر کہِ تُہہ چھِوکھ نہ تمِ خالِق مانان۔ بلکہ چھِوکھ تُہہ تمِ تہٕ مخلوقے مانان۔ مخلوق آسُن چھ معبود آسنس بالکل منافی دلیلِ عقلی گیہِ ختم۔ اگر توہہِ نِش دلیل نقلی چھ اِيۡتُوۡنِىۡ بِكِتٰبٍ مِّنۡ قَبۡلِ هٰذَاۤ میہ نِشہِ اِنِ

أَثٰرَةٍ مِّنۡ عِلۡمٍ إِنۡ كُنۡتُمۡ صٰدِقِيۡنَ ﴿۴﴾ وَمَنۡ أَضَلُّ مِمَّنۡ يَّدۡعُوۡا مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ مَنۡ لَّا يَسۡتَجِيۡبُ لَهٗۤ إِلٰى يَوۡمِ الۡقِيٰمَةِ وَهُمۡ عَنۡ دُعَآئِهِمۡ غٰفِلُوۡنَ ﴿۵﴾ وَإِذَا حُشِرَ النَّاسُ كَانُوۡا لَهُمۡ أَعۡدَآءً وَّكَانُوۡا بِعِبَادَتِهِمۡ كٰفِرِيۡنَ ﴿۶﴾ وَإِذَا تُتۡلٰى عَلَيۡهِمۡ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ قَالَ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا لِلۡحَقِّ لَمَّا جَآءَهُمۡ هٰذَا سِحۡرٌ مُّبِيۡنٌ ﴿۷﴾

توتیلہ کانہہ صحیح کتاباہ۔ یتھ منز شرکک حکم آسہِ یوسہ کتاب یمہ قرآنِ مجیدہ برونٹھ نازِل کرنہ آمژ آسہ اَوۡ أَثٰرَةٍ مِّنۡ عِلۡمٍ إِنۡ كُنۡتُمۡ صٰدِقِيۡنَ یا اگر کتاب آسہِ نہ توتِہ کر توٚ پیش معتبر علمی کانہہ مضموناہ، روایتھاہ یوسہ منقول آسہِ، پھوٚے تُہہ شرکک دعوے کرہ نس اندر پوٚزونہ ون۔ یہ کتھ چھَہ ظاہر کہ یژھہ دلیل ہیکہ نہ کانہہ تہِ پیش کرِتھ مگر تُہہ چھِوَنہ امہِ پتہ تہِ باطل کتھہ نشہِ بازیوان۔ وَمَنۡ أَضَلُّ مِمَّنۡ يَّدۡعُوۡا مِنۡ دُوۡنِ اللّٰهِ مَنۡ لَّا يَسۡتَجِيۡبُ لَهٗۤ إِلٰى يَوۡمِ الۡقِيٰمَةِ کُہہ اکھاہ چھُس شخصہ سندہ خوتہ زیادہ گمراہ یُس دلیل پیش کرنہ نِشہِ چھُہ عاجز۔ باوجود آں چھُہ معبودِ برحق تراوِتھ تمن باطل معبودن آلو دوان یمنہ قیامتس تانِ تہندِس ناوس تہ آلوس جوابے ہیکن دِتھ۔ تمن چھُنہ تہندہ آلودِنچ خبرے کینہہ کیازِہ تمن چھُنہ تمیُک شعورے تمن چھُنہ خبرے سجدہ کم دیت تہ لتھ کم دِژ۔ وَهُمۡ عَنۡ دُعَآئِهِمۡ غٰفِلُوۡنَ تمِ چھِہ تہندہ آلودنہ نِشہِ بالکل بے خبر۔ جمادات یعنی کنہِ تہ بے جان چیزن ہُند چھُہ ظاہرے کہ تمن چھُنہ قوتِ سامع کینہہ۔ باقے ذواتُ الارواح، ملایکہ، حضراتِ انبیاء، بیہ اولیاء اللہ تمِ چھِہ سوے کتھ بوزتھ ہیکان یوسہ اللہ تعالیٰ بوزہ ناویکھ۔ سوی کام ہیکان کرِتھ یمیُک اجازت تہ قدرت تمن اللہ تعالیٰ دیہ پانس تمن بذاتِ خود کانہہ اختیاراہ چھُنہ وَإِذَا حُشِرَ النَّاسُ كَانُوۡا لَهُمۡ أَعۡدَآءً وَّكَانُوۡا بِعِبَادَتِهِمۡ كٰفِرِيۡنَ چنانچہ یلہِ لوکھ محشرہ کِس میدانَس منز جمع ینِ کرنہ حساب دنہ خاطرہ تمے معبودانِ باطل آسَن، تمن تمِ نادتہ آلو دوان اَسِ، تہند دشمن۔ بیہ آسَن تمے تہندِس عبادت تہ پرستش کرہ نَس مُنکر۔ دپنکھ اَسہِ چھُنہ خبرے تُہہ کیاہ آسوہ اَسہِ عبادت کران وَإِذَا تُتۡلٰى عَلَيۡهِمۡ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ قَالَ الَّذِيۡنَ كَفَرُوۡا

أَمْ يَقُولُونَ افْتَرَاهُ ۖ قُلْ إِنِ افْتَرَيْتُهُ فَلَا تَمْلِكُونَ
لِي مِنَ اللَّهِ شَيْئًا ۖ هُوَ أَعْلَمُ بِمَا تُفِيضُونَ فِيهِ ۖ كَفَىٰ بِهِ
شَهِيدًا بَيْنِي وَبَيْنَكُمْ ۖ وَهُوَ الْغَفُورُ الرَّحِيمُ ﴿٨﴾
قُلْ مَا كُنتُ بِدْعًا مِّنَ الرُّسُلِ وَمَا أَدْرِي مَا يُفْعَلُ بِي وَلَا بِكُمْ ۖ
إِنْ أَتَّبِعُ إِلَّا مَا يُوحَىٰ إِلَيَّ وَمَا أَنَا إِلَّا نَذِيرٌ مُّبِينٌ ﴿٩﴾ قُلْ أَرَأَيْتُمْ

---

لِلْحَقِّ لَمَّا جَاءَهُمْ هَٰذَا سِحْرٌ مُّبِينٌ بيهِ يلهِ پرنه ڇهِ يوان تمن پيٽ سانِ صاف صاف ۽ واضح آيات، ونان ڇهِ تمِ ڪافراتھ پرِس قرآن مجيدس ڪه يه ڇهه نعوذ بالله نون سحر ۽ جود أَمْ يَقُولُونَ افْتَرَاهُ قُلْ إِنِ افْتَرَيْتُهُ ڪياه تمِ لوکھ ڇهاونان ڪهِ يهِ قرآن مجيد ٺهرووامِ پيغمبرن پانئے۔ تُهه فرماويو کھ يا رسول الله اي لوکو هرگاه ميه يهِ قرآنِ مجيد پانے پننهِ طرفه بنوومُت آستھ خدا ليس گُن لوگمت آسهِ هاتيلهِ کرهِ ها الله تعالیٰ پننهِ عادت ۽ موجب ميانس اُپزد عويٰ نبوّت کره تَس پيٺھ ميه هلاک۔ تو پته يله سُه ميه (نعوذ بالله) هلاک کرُن هيهِ فَلَا تَمْلِكُونَ لِي مِنَ اللَّهِ شَيْئًا تُهه لوکھ يا باقي لوکھ هيکِو نه ميه خدايهِ سندهِ عذابه نِشهِ بچاوِ تھ هُوَ أَعْلَمُ بِمَا تُفِيضُونَ فِيهِ تَس ڇهه پور خبر تُهه ڪمه ڪتھه ڇهِوهاتھ قرآنِ مجيدس متعلق ڪران كَفَىٰ بِهِ شَهِيدًا بَيْنِي وَبَيْنَكُمْ بس ڇهه سُی گواه ميه منز ۽ توهه منز۔ تَس ڇهه اَسهِ سارِنے هُند حال پور، معلوم کُهه ڇهه صادق ۽ کُهه ڇهه کاذِب وَهُوَ الْغَفُورُ الرَّحِيمُ سُی ڇهه سيٺهاه مغفرت کره ون سيٺهاه رحم کره ڈن۔ سُه ڇهُنه ڪافرن دنياءِ س اندر عذابس گرفتار ڪران۔ مگر تمِن عذابس گرفتار نه کرُن ڇهُنه دلالت ڪران تهندس پزس پيٺھ آسنَس قُلْ مَا كُنتُ بِدْعًا مِّنَ الرُّسُلِ تُوهه فرماويو کھ يا رسول الله اے لوکو به نو پيغمبراه ڇهُس نه۔ ميه برونٹھ ۽ ڇهِ بيهِ ۽ وارياه خدايهِ سندی احكام هيتھ آمت۔ وَمَا أَدْرِي مَا يُفْعَلُ بِي وَلَا بِكُمْ بيهِ ڇهُنه ميه خبر ميه سيت ڪياه معامله سپده آينده۔ پننه نين آئنده حالاتَن هنزِ يلهِ نه ميه خبرَ ڇهه بَين مُغيباتن هُند دعوىٰ کتھه پاٹھ هيکه به کرِتھ۔ تمن حالاتَن هُند ميه بذريعه وحي علم سپدُ تمِن هُند ڇهه واقعي علم ڪامِل إِنْ أَتَّبِعُ إِلَّا مَا يُوحَىٰ إِلَيَّ وَمَا أَنَا إِلَّا نَذِيرٌ مُّبِينٌ به

إِنْ كَانَ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ وَكَفَرْتُمْ بِهٖ وَشَهِدَ شَاهِدٌ مِّنْ بَنِيٓ إِسْرَآءِيلَ عَلٰى مِثْلِهٖ فَاٰمَنَ وَاسْتَكْبَرْتُمْ ۭ إِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ ﴿۱۰﴾ وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَوْ كَانَ خَيْرًا مَّا سَبَقُوْنَآ إِلَيْهِ ۭ وَإِذْ لَمْ يَهْتَدُوْا بِهٖ فَسَيَقُوْلُوْنَ هٰذَآ إِفْكٌ قَدِيْمٌ ﴿۱۱﴾ وَمِنْ قَبْلِهٖ كِتٰبُ مُوْسٰٓى إِمَامًا وَّرَحْمَةً ۭ وَهٰذَا كِتٰبٌ مُّصَدِّقٌ لِّسَانًا عَرَبِيًّا لِّيُنْذِرَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا ۖ وَبُشْرٰى لِلْمُحْسِنِيْنَ ﴿۱۲﴾ إِنَّ

---

چھُسنہ علم و عملہِ اندر پیروی کران مگر تتھ یہِ میہِ کُن وحی نازِل یوان چھُہ کرنہ۔ پانہ پننہِ طرفہ کانہہ چیز ٹھہراوٕنچ چھنہ صورتھے کانہہ بیہِ چھُس نہ بہ مگر نٔن پاٹھ بیم کرہ وُن قُلْ اَرَءَيْتُمْ إِنْ كَانَ مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ وَكَفَرْتُمْ بِهٖ وَشَهِدَ شَاهِدٌ مِّنْ بَنِيٓ إِسْرَآءِيلَ عَلٰى مِثْلِهٖ فَاٰمَنَ وَاسْتَكْبَرْتُمْ فرماوِیو کھ تُہہ یا رسول اللہ ای لوگو میہ وَنِ تو ہرگاہ یہ قرآنِ مجید واقعی طور خدایہ سندہ طرفہ اَسِتھ تُہہ اَتھ انکار کٔرِو بیہ آسہِ بنی اسرائیلو اندرہ تہِ کانہہ معتبر گواہ گواہی دِوان یژھِ کتابہِ ہندہ نازل سپدنچ، تتھ پیٹھ بناکٔرِ تھ آسہِ سُہ تتھ ایمان اَنان تہ یژھ کران مگر تہہ رُوزِو تکبّر تہ غرورہ سببہ اَمہِ کِس انکارس پیٹھ، تتھ صورتس اندر تُہہ اکھاہ چھُہ تُہندِہ خو تہ زیادہ بے انصاف تہ ظالم۔ إِنَّ اللّٰهَ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ بے شک اللہ تعالیٰ چھنہ بے انصافن تہ ظالمن وتھ ہاوان بلکہ چھہِ تِم ہمیشہ گمراہی تہ ضلالتس اندر روزان۔ گُمراہی ہُند انجام چھُہ نارِ جہنّم۔ وَقَالَ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا لَوْ كَانَ خَيْرًا مَّا سَبَقُوْنَآ إِلَيْهِ بیہِ چھہِ تِم کافرو نان باایمانن ہندِس ایمان انہ نَس نسبت کہِ ہرگاہ یہِ قرآن مجید یَتھ تِمو یژھ کٔر مژ چھُہ رُت آسہِ ہا، تیلہ گژھن نہ تِمِ کم درجِک لوکھ اَتھ دینس کُن اَسہِ برونٹھ۔ یہِ گوو تُہند کمال درجُک استکبار تہ غرور وَإِذْ لَمْ يَهْتَدُوْا بِهٖ فَسَيَقُوْلُوْنَ هٰذَآ إِفْكٌ قَدِيْمٌ یلہِ نہ اَمہِ غرورہ تہ استکبارہ سببہ تِمن اَمہِ قرآنِ مجیدہ سیت دمنِ حقّس کُن وَتھ آسہِ لِہٰذا چھہِ تِمن وَنہ ئے کہِ یہِ چھُہ پرانیو اَپزِو کتھو منزِہ اکھ اَپز کتھاہ وَمِنْ قَبْلِهٖ كِتٰبُ مُوْسٰٓى إِمَامًا وَّرَحْمَةً وَهٰذَا كِتٰبٌ مُّصَدِّقٌ لِّسَانًا عَرَبِيًّا لِّيُنْذِرَ الَّذِيْنَ ظَلَمُوْا وَبُشْرٰى لِلْمُحْسِنِيْنَ حالانکہ تِمہِ

الَّذِیۡنَ قَالُوۡا رَبُّنَا اللّٰہُ ثُمَّ اسۡتَقَامُوۡا فَلَا خَوۡفٌ عَلَیۡہِمۡ وَ لَا ہُمۡ یَحۡزَنُوۡنَ ﴿۱۳﴾ اُولٰٓئِکَ اَصۡحٰبُ الۡجَنَّۃِ خٰلِدِیۡنَ فِیۡہَا ۚ جَزَآءًۢ بِمَا کَانُوۡا یَعۡمَلُوۡنَ ﴿۱۴﴾ وَ وَصَّیۡنَا الۡاِنۡسَانَ بِوَالِدَیۡہِ اِحۡسٰنًا ؕ حَمَلَتۡہُ اُمُّہٗ کُرۡہًا وَّ وَضَعَتۡہُ کُرۡہًا ؕ وَ حَمۡلُہٗ وَ فِصٰلُہٗ ثَلٰثُوۡنَ شَہۡرًا ؕ حَتّٰۤی اِذَا بَلَغَ

---

قرآن مجیدہ برُونٹھ آس حضرتِ موسیٰ سنز کتاب یعنے تورات نازِل آمژ کرنہ یوسہ اُمّتِ موسہِ یہ خاطرہ بالعموم وَتھ ہاوہ ونِ آس، اہلِ ایمانَن ہندِہ خاطرہ بالخصوص بڈ رحمت آس، یہ قرآنِ مجید تیچ پیشین گوئی توراتس منز تہِ چھہ، تہٕ چھہ کتاباہ تمہِ کتابہِ ہنز پیشین گوئی تصدیق کران یوسہ عربی زیوہِ منز چھہ، یُتھ یمِ گرہِ تمن لوکن یمو ظلم کور یعنی شرِک تہٕ کفر کرنہ سیت۔ یہ چھہ بڈ بشارت نیکو کارَن ہندِہ خاطرہ اِنَّ الَّذِیۡنَ قَالُوۡا رَبُّنَا اللّٰہُ ثُمَّ اسۡتَقَامُوۡا فَلَا خَوۡفٌ عَلَیۡہِمۡ وَ لَا ہُمۡ یَحۡزَنُوۡنَ بیشک یمو لوکو بصدقِ دل اقرار کورزہِ سون پروردگار چھہ اللہ تعالیٰ تَو پتہٕ رود اتھ اعتقادس پیٹھ آخرِس تانِ، یہ اعتقاد ترووُکھ نہ زانہہ پتہٕ چھُنہ تمن آخرتَس اندر کانہہ خوفاہ واقع سپدہ وُن نہ آسَن تم تہٕ غمگین اُولٰٓئِکَ اَصۡحٰبُ الۡجَنَّۃِ خٰلِدِیۡنَ فِیۡہَا ۚ جَزَآءًۢ بِمَا کَانُوۡا یَعۡمَلُوۡنَ یم لوکھ چھہِ جنتی، یم ہمیشہ روزَن تمن جنتن اندر۔ یہ چھہ تمن رُت جزا تمن رژَن عملن ہُند تم کران اُسِ دُنیاءس اندر یعنے ایمان تہٕ استقامت بَر ایمان یتھہ پاٹھِ اَسہِ پننِ حق بندن پیٹھ واجب کَر یمیُک ذِکر کرنہ آو یتھے پاٹھ کور اَسہِ حقوق العبادتہِ واجب چنانچہ تموٲندرہ گوو سیٹھاہ بوڈ حق مالِس ماجہِ ہُند وَ وَصَّیۡنَا الۡاِنۡسَانَ بِوَالِدَیۡہِ اِحۡسٰنًا ؕ حَمَلَتۡہُ اُمُّہٗ کُرۡہًا وَّ وَضَعَتۡہُ کُرۡہًا تمی موکھ کور اَسہِ انسانَس تاکیدی حکم پننہ مالِس ماجہ نسبت احسان کرہ نک۔ بالخصوص ماجہ نسبت زیادہ احسان کرہ نُک حُکم۔ کیازِہ یہ موج آس نہایت شفقتہ سان تُلان اَمِس انسانَس پننِہ یڈ منز تو پتہٕ ترووُن یہ یڈ منز نہایت سختی سان وَ حَمۡلُہٗ وَ فِصٰلُہٗ ثَلٰثُوۡنَ شَہۡرًا اَمِس انسانہ سُند ماجہِ ہنزِہ یڈ منز روزہ نُک مدّت بیہِ دود ژٹہ نُک مدّت چھہ اکثر تہٕ ہن رتین یعنی ڈاین وَرِین پورہ سپدان۔ تمہِ پتہٕ چھہ سُہ نشو ونما لبان۔ حَتّٰۤی اِذَا بَلَغَ اَشُدَّہٗ وَ بَلَغَ اَرۡبَعِیۡنَ سَنَۃً تااینکہ یلِہ سُہ نشو ونما

أَشُدَّهُۥ وَبَلَغَ أَرْبَعِينَ سَنَةً قَالَ رَبِّ أَوْزِعْنِىٓ أَنْ أَشْكُرَ نِعْمَتَكَ
الَّتِىٓ أَنْعَمْتَ عَلَىَّ وَعَلَىٰ وَٰلِدَىَّ وَأَنْ أَعْمَلَ صَٰلِحًا تَرْضَىٰهُ
وَأَصْلِحْ لِى فِى ذُرِّيَّتِىٓ ۖ إِنِّى تُبْتُ إِلَيْكَ وَإِنِّى مِنَ الْمُسْلِمِينَ ﴿١٥﴾
أُو۟لَٰٓئِكَ الَّذِينَ نَتَقَبَّلُ عَنْهُمْ أَحْسَنَ مَا عَمِلُوا۟ وَنَتَجَاوَزُ عَن سَيِّـَٔاتِهِمْ
فِىٓ أَصْحَٰبِ الْجَنَّةِ ۖ وَعْدَ الصِّدْقِ الَّذِى كَانُوا۟ يُوعَدُونَ ﴿١٦﴾ وَالَّذِى
قَالَ لِوَٰلِدَيْهِ أُفٍّ لَّكُمَآ أَتَعِدَانِنِىٓ أَنْ أُخْرَجَ وَقَدْ خَلَتِ الْقُرُونُ

---

لبان پھہ ، پنہ جوانی ہندِ س قوتس واتان پھہ یعنے جوان پھہ سپدان تو پتہ پھہ واتان ڗ تجھن ہنزِ ہ عمرِ ہ ، یُس سعادت مند پھہ آسان قَالَ رَبِّ أَوْزِعْنِىٓ أَنْ أَشْكُرَ نِعْمَتَكَ الَّتِىٓ أَنْعَمْتَ عَلَىَّ وَعَلَىٰ وَٰلِدَىَّ وَأَنْ أَعْمَلَ صَٰلِحًا تَرْضَىٰهُ سُہ پھہ دپان ای میانہِ پروردگارہ دِہ یتھ کتھِ پٹھ مداومت گرہ نگ توفیق کہِ بہ کیاہ کرہ شکر گذاری تمہِ نعمچ یوسہ ڗہ میہ عطا کرتھ بیہِ میانس مالِس ماجہ عطا کرتھ بیہِ دِہ میہ توفیق یمیُک زِہ بہ کیاہ کرہ رڗہ کامہِ یمہ ڗہ پسند آسہِ نے ، تمو سیت ڗہ راضی گژھکھ وَأَصْلِحْ لِى فِى ذُرِّيَّتِىٓ بیہِ کر صلاحیت پأدہ میانہِ نفعہ خاطرہ میانین اولادن منز۔ نفع دنیوی گوویوہے کہ بہ کیا آسہِ تمِ وچھتھ پھولان۔ نفع دینی گوویوہے کہ میہ تہِ آسہِ اجروثواب حاصل سپدان إِنِّى تُبْتُ إِلَيْكَ بیہِ چھُس توبہ کران تمو کو تاہیو نشہ یمہ میانہ طرفہ آیہ چانین حقوقن یا چانین بندن ہندین حقوقن اندر وَإِنِّى مِنَ الْمُسْلِمِينَ بیہِ چھُس بہ چانس حُکمس گردن دارہ ونیو اندرہ أُو۟لَٰٓئِكَ الَّذِينَ نَتَقَبَّلُ عَنْهُمْ أَحْسَنَ مَا عَمِلُوا۟ وَنَتَجَاوَزُ عَن سَيِّـَٔاتِهِمْ فِىٓ أَصْحَٰبِ الْجَنَّةِ ۖ وَعْدَ الصِّدْقِ الَّذِى كَانُوا۟ يُوعَدُونَ یمِ لوکھ گے تمِ یمن ہنز رڗہ عملہ اَس قبول گرو بیہِ گرواَس تہند خطا معاف یمہِ طریقہ کہِ تم آسَن جنتیو اندرہ ، تمہِ پزِہ وعدہ کہِ وجھہ یُس تمن سیت دنیاءس اندر کرنہ اوس یوان وَالَّذِى قَالَ لِوَٰلِدَيْهِ أُفٍّ لَّكُمَآ أَتَعِدَانِنِىٓ أَنْ أُخْرَجَ وَقَدْ خَلَتِ الْقُرُونُ مِن قَبْلِى بیاکھ گووسُہ شخص یمِ حقوق اللہ تہ حقوق العباد ضائع کر یتھہ پاٹھ تَس شخصہ سندھ حالہ سیت معلوم پھہ سپدان ، یمِ مالِس ماجہِ ، یُہند حق حقوق العبادو منزہ نہایت مؤکداوس ، خصوصاً

مِنْ قَبْلِيْ ۚ وَهُمَا يَسْتَغِيْثٰنِ اللّٰهَ وَيْلَكَ اٰمِنْ ۖ اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ ۚ فَيَقُوْلُ مَا هٰذَآ اِلَّآ اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ ﴿۱۷﴾ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ حَقَّ عَلَيْهِمُ الْقَوْلُ فِيْٓ اُمَمٍ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنَ الْجِنِّ وَالْاِنْسِ ؕ اِنَّهُمْ كَانُوْا خٰسِرِيْنَ ﴿۱۸﴾ وَلِكُلٍّ دَرَجٰتٌ مِّمَّا عَمِلُوْا ۚ وَلِيُوَفِّيَهُمْ اَعْمَالَهُمْ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ ﴿۱۹﴾ وَيَوْمَ يُعْرَضُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا عَلَى النَّارِ ؕ

---

یلہِ تمِ مسلمان آسن، خصوصاًیلہِ تمِ امِس تہٕ اسلامُک تبلیغ کران آسن، امِس آسِ حقوق ادا کرہ نکِ وارِیاہ ذرائع حاصِل بیہِ ییلہِ تمِ امِس دین حقس کُن دعوت دِوان آسِ اَمِ دوپنکھ اُف، توہہِ اونوس بہ عاجز عجیب کتھ وَنِ وَنِ کیاہ تُہہ چھوہ میہ ونان قیامتُک دوہ سپدَکھ ژہ بیہِ زِندہ زِندہ سپدِ تھ یِکھ ژہِ قبرَ واندرہ منزہ کڈنہ حالانکہِ میہ برونٹھ گذرے یہ وارِیاہ اُمژہ تمن پریتھ وقتہ پننِ پیغمبر یتھ وعدہ دِوان آسِ مگر از تام سپدُنہ کُنہِ وعدُک ظہور امہِ اَندرہ چھہ معلوم سپدان زِہ یمہِ چھہ کتھے یاژہ وَهُمَا يَسْتَغِيْثٰنِ اللّٰهَ وَيْلَكَ اٰمِنْ اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ تمِ دوشوے یعنی مول تہٕ موج اَمسند، اَمسندہ اِنکارہ تہٕ کُفرِ عظیمہ سببہ سخت وولِتھ لگِ تمِ اللہ تعالیٰ اس فریاد کرنہِ۔ اَمِس پنچوِس لگ وننہِ دردمندی سان۔ وال بوینے ژہِ اَن جلد ایمان بیہ زان قیامت برحق۔ بیشک خدایہِ سُند وعدہ چھہ حق تہٕ پوز۔ مرنہ پتہ چھہ ضرور بیہ زندہ گژھُن سارِنے۔ فَيَقُوْلُ مَا هٰذَآ اِلَّآ اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ سُہ چھہ تورہ تمن ونان کہِ یمہ کتھ چھہ بالکل بے سَنَد۔ برونٹھمین لوکن ہِنزِہ نقل یوان کرنہ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ حَقَّ عَلَيْهِمُ الْقَوْلُ فِيْٓ اُمَمٍ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنَ الْجِنِّ وَالْاِنْسِ اِنَّهُمْ كَانُوْا خٰسِرِيْنَ تیمِ گئے تمِ لوکھ یہندِہ حقہ عذابُک حکم مقرر سپدُمُت چھہ تمن اُمتن سیت یمہ تمن برونٹھ آسہ جنوٚ تہٕ اِنسانوٚ اَندرہ۔ بیشک تمِ آس ازلے تاوان زَد وَلِكُلٍّ دَرَجٰتٌ مِّمَّا عَمِلُوْا تمن دوہ شونی فریقن ہندِہ خاطرہ چھہِ تہندٚ و مختلف عملن ہندِہ اعتبارہ الگ الگ درجہِ مقرر کرنہ آمت۔ اکِس فریقس جنتس منز بیِس فریقس جہنمس منز، تموِ کامیو موجب یمہ کامہ تمو کرِہ مژہ آسَن دنیاءس اندر وَلِيُوَفِّيَهُمْ اَعْمَالَهُمْ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ یُتھ اللہ تعالیٰ تمن سارِنے تہنزن عملن ہند

أَذْهَبْتُمْ طَيِّبَٰتِكُمْ فِى حَيَاتِكُمُ ٱلدُّنْيَا وَٱسْتَمْتَعْتُم بِهَا فَٱلْيَوْمَ
تُجْزَوْنَ عَذَابَ ٱلْهُونِ بِمَا كُنتُمْ تَسْتَكْبِرُونَ فِى
ٱلْأَرْضِ بِغَيْرِ ٱلْحَقِّ وَبِمَا كُنتُمْ تَفْسُقُونَ ﴿٢٠﴾ وَٱذْكُرْ أَخَا
عَادٍ إِذْ أَنذَرَ قَوْمَهُۥ بِٱلْأَحْقَافِ وَقَدْ خَلَتِ ٱلنُّذُرُ مِنۢ
بَيْنِ يَدَيْهِ وَمِنْ خَلْفِهِۦٓ أَلَّا تَعْبُدُوٓا۟ إِلَّا ٱللَّهَ إِنِّىٓ أَخَافُ

---

بدلہ پورہ عطاگرہ بیہِ بیہِ نہٖ کانسہِ اَکِس تموٲندرہ کُنہ طریقہ ظلم کرنہ وَيَوْمَ يُعْرَضُ ٱلَّذِينَ كَفَرُوا۟ عَلَى
ٱلنَّارِ بیہِ یمہ دوہہ کافر برونٹھ کُن اَننہ ینِ نار جہنّمس وَننہ یِیکھ أَذْهَبْتُمْ طَيِّبَٰتِكُمْ فِى حَيَاتِكُمُ ٱلدُّنْيَا
وَٱسْتَمْتَعْتُم بِهَا اَے کافرو توہہ وچھوہ پننہِ دُنیاچہِ زندگی منز ریتین نعمژن ہُند پُنن حِصہّ حاصِل کورمُت بیہِ
چھوہ تمن ہُند پورہ تمتع تہٖ فایدہ توہہِ تُلمت یتہِ سپدہِ نہ توہہِ کانہہ نعمتاہ حاصِل فَٱلْيَوْمَ تُجْزَوْنَ عَذَابَ
ٱلْهُونِ بِمَا كُنتُمْ تَسْتَكْبِرُونَ فِى ٱلْأَرْضِ بِغَيْرِ ٱلْحَقِّ وَبِمَا كُنتُمْ تَفْسُقُونَ وونِ یِیہِ توہہِ ازیتہِ
بدلہ دنہ خواری ہُند عذاب کیازِہ تُہہ آسوہ نادنیاءس منز تکبّر تہٖ غرور کران ناحق۔ بیہِ تمہِ موکھہ کہِ تہہُ
کیا آسوہ سخت نافرمانی کران۔ ناحق آوونہ امی موکھہ کہ مخلوقس پزہِ نہ تکبّر کرُن۔ تَس چھُنہ کُنہِ وقتہ حق
تکبّر کرہ نگ خصوصاً زمینس پیٹھ۔ یہِ چھہ اِنسانہ سندِہ حقہ زیادٕے مذموم وَٱذْكُرْ أَخَا عَادٍ إِذْ
أَنذَرَ قَوْمَهُۥ بِٱلْأَحْقَافِ بیہِ کورِتُہہ تمن کافرن نشہِ قومِ عادَن ہندِس برادر ہود علیہ السّلامہ
سنز ذِکر یلہ تموِ پننہ نِس قومَس یمِ ترٛشہِ جایہِ پیٹھ بسان آسِ یتہ خمدار سکہ بند تودہ آسِ تتھ جایہِ چھہِ وَنان
احقاف۔ یہِ چھہ اکھ وادیاہ یمنس منز حضر موتس نزدیک۔ سوٗی پنن قوم کھوژہ نوٗکھ خدایہِ سندِس
عذابس۔ فرماوان آسکھ یتھنہ توہہُ عبادَت کُرو کانسہِ ہنز خدایس وراے ورنہ گژھو عذابس گرفتار۔ یہِ
چھہ ترٛشہ کتھ کہِ وَقَدْ خَلَتِ ٱلنُّذُرُ مِنۢ بَيْنِ يَدَيْهِ وَمِنْ خَلْفِهِۦٓ أَلَّا تَعْبُدُوٓا۟ إِلَّا ٱللَّهَ کہ بے شک
ہود علیہِ السلامَس برونٹھ تہٖ تمن پتہ یتہِ آی امی مضمون خاطرہ واریاہ کھوژناوَن والِ پیغمبر ازتانِ۔ ہود
علیہِ السلامن فرموو پننہ نِس قومس کہِ عبادت مہ کُرو کانسہِ ہنز معبودِ برحقس وراَے۔ إِنِّىٓ أَخَافُ

عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ عَظِيمٍ ﴿٢١﴾ قَالُوٓا أَجِئْتَنَا لِتَأْفِكَنَا عَنْ آلِهَتِنَا فَأْتِنَا بِمَا تَعِدُنَآ إِن كُنتَ مِنَ الصَّٰدِقِينَ ﴿٢٢﴾ قَالَ إِنَّمَا الْعِلْمُ عِندَ اللَّهِ وَأُبَلِّغُكُم مَّآ أُرْسِلْتُ بِهِۦ وَلَٰكِنِّىٓ أَرَىٰكُمْ قَوْمًا تَجْهَلُونَ ﴿٢٣﴾ فَلَمَّا رَأَوْهُ عَارِضًا مُّسْتَقْبِلَ أَوْدِيَتِهِمْ قَالُوا هَٰذَا عَارِضٌ مُّمْطِرُنَا ۚ بَلْ هُوَ مَا اسْتَعْجَلْتُم بِهِۦ ۖ رِيحٌ فِيهَا عَذَابٌ أَلِيمٌ ﴿٢٤﴾ تُدَمِّرُ كُلَّ شَىْءٍۭ بِأَمْرِ رَبِّهَا فَأَصْبَحُوا لَا يُرَىٰٓ إِلَّا مَسَٰكِنُهُمْ ۚ كَذَٰلِكَ نَجْزِى الْقَوْمَ

---

عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ عَظِيمٍ به ڇھُس کوڙان ٿھندهِ حقه اکه بڙهِ ڏوهه کس عذابس يعني قيامتهِ ڏوهه کس عذابس قَالُوٓا أَجِئْتَنَا لِتَأْفِكَنَا عَنْ آلِهَتِنَا تمودوپس اے هود کياه ڙه ڇھُڪه آمُت اسهِ نشهِ امی خاطرهکهِ ڙه کياه ڦِرَکھ اَسهِ پنه نيو معبودونشهِ۔ اس ڦيرَن وال ڇھنه۔ فَأْتِنَا بِمَا تَعِدُنَآ إِن كُنتَ مِنَ الصَّٰدِقِينَ وونِ هرگاه ڙه پوزونه ونيو منزه ڇھُڪه تيلهِ واتناوسه عذاب تميگ ڙه اَسهِ بيم کران ڇھُڪه قَالَ إِنَّمَا الْعِلْمُ عِندَ اللَّهِ وَأُبَلِّغُكُم مَّآ أُرْسِلْتُ بِهِۦ وَلَٰكِنِّىٓ أَرَىٰكُمْ قَوْمًا تَجْهَلُونَ هود عليه السلامن فرموڈکھ عذابکه پيچ خبر ڇھه خدايهِ سے ياڙبه ڇھُس توهه واتناوان سه پيغام يُس هيتھ به سوزنه آمُت ڇھُس۔ مگر به ڇھُسوه توهه وڇھان اکه قوماه خالص جهالته ڇهِ۔ کتھ کران يلهِ نه تموکُنهِ طريقه حق تسليم کوراتی هِتِن عذابک آثار شروع سپدن گوڈهِ نی کھوت اوبراه اکه فَلَمَّا رَأَوْهُ عَارِضًا مُّسْتَقْبِلَ أَوْدِيَتِهِمْ اده يلهِ تموسه اوبرو ڇھه يُس پکان اوس يهندِ سے زمينس زِراعتس کُن قَالُوا هَٰذَا عَارِضٌ مُّمْطِرُنَا دپنهِ لگِ يهِ اوبُراوهِ رود اَسهِ پيٹھ۔ دَپنه آکھ يهِ رود تراوه ڈن اوبرُ ڇھُنه بَلْ هُوَ مَا اسْتَعْجَلْتُم بِهِۦ بلکهِ ڇھه يهِ سُی عذاب يُس توهه وَلِ وَلِ ڙھانڈان آسوه اَتھ اوبرس منز ڇھه رِيحٌ فِيهَا عَذَابٌ أَلِيمٌ واواه يتھ سيت کُڈر عذاب ڇھه تُدَمِّرُ كُلَّ شَىْءٍۭ بِأَمْرِ رَبِّهَا فَأَصْبَحُوا لَا يُرَىٰٓ إِلَّا مَسَٰكِنُهُمْ يهِ عذاب گالهِ

الْمُجْرِمِيْنَ ﴿٢٥﴾ وَلَقَدْ مَكَّنّٰهُمْ فِيْمَآ اِنْ مَّكَّنّٰكُمْ فِيْهِ
وَجَعَلْنَا لَهُمْ سَمْعًا وَّاَبْصَارًا وَّاَفْـِٕدَةً ۖ فَمَآ اَغْنٰى عَنْهُمْ
سَمْعُهُمْ وَلَآ اَبْصَارُهُمْ وَلَآ اَفْـِٕدَتُهُمْ مِّنْ شَيْءٍ اِذْ
كَانُوْا يَجْحَدُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ
يَسْتَهْزِءُوْنَ ﴿٢٦﴾ وَلَقَدْ اَهْلَكْنَا مَا حَوْلَكُمْ مِّنَ الْقُرٰى
وَصَرَّفْنَا الْاٰيٰتِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ ﴿٢٧﴾ فَلَوْلَا نَصَرَهُمُ

---

پر يتھ چيز س پنھ نس خدايہ سندہ حکمہ سيت۔ چنانچہِ سُہ واويلہِ دراوتم تھوونہ کانہہ چيزاہ باقی گالنہ
ورائے۔ پس سپد ختم کانہہ چيزاہ اوس نہ دريٹھی يِوان تھزولريو جايو ورائے کَذٰلِكَ نَجْزِى الْقَوْمَ
الْمُجْرِمِيْنَ تيتھے پاٹھ کياہ چھہِ اَسِ نافرمانن سزادوان وَلَقَدْ مَكَّنّٰهُمْ فِيْمَآ اِنْ مَّكَّنّٰكُمْ فِيْهِ
وَجَعَلْنَا لَهُمْ سَمْعًا وَّاَبْصَارًا وَّاَفْـِٕدَةً بے شک اَسہِ اوس تمن طاقت دُيتمت تمن تمن کامیٖن ہُند
تمن ہُند طاقت توہہِ چھُنہ دُيتمت۔ تمہِ اندرہ چھہ مُراد تمِ تصرّفات يم جسمانی قوتس تہ مالی قوتس پيٹھ
موقوف چھہِ۔ بيہ آسِ اَسہِ تمن گن اَچھ تہ دِل دِتمت۔ يمو سيت تمِ بڈين بڈين مشکلاتن ہُند مقابلہ آس
کران۔ مگر يلہِ تمن سون عذاب ووت تتھ مقابلہ ہيوکھ نہ کينہہ تہ کٔرِتھ فَمَآ اَغْنٰى عَنْهُمْ سَمْعُهُمْ
وَلَآ اَبْصَارُهُمْ وَلَآ اَفْـِٕدَتُهُمْ مِّنْ شَيْءٍ پس دُيت نہ تمن کانہہ فائدہ نہ کنٔو نہ اَچھو تہ نہ دلو کُنہ
چيزُک اِذْ كَانُوْا يَجْحَدُوْنَ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ کيازِہ تمِ اَس انکار
کران خدايہِ سندين آياتن۔ توپتہ آوولنہ تمن سُی عذاب يتھ تمِ ٹھٹھ تہ مخول کران آسِ وَلَقَدْ اَهْلَكْنَا
مَا حَوْلَكُمْ مِّنَ الْقُرٰى وَصَرَّفْنَا الْاٰيٰتِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ اے مکہ کيولوکو بتحقيق گالِ اَسہِ تمن
شہرن ہند لوکھ يم توہہ اَندِ پکِ چھہِ کفرو شرکہ سببہ۔ قومِ ثمود تہ قومِ لوط، اَسہِ واتناوے يہ تمن نشہِ
پننہِ دليلہ پھير پھير ديوہ تمِ کفرہ تہ شرکہ نشہِ پتھ روزن مگر تمِ رودنہ پتھ کينہہ تہِ۔ تمہِ موکھ گے تمِ
عذابس گرفتار فَلَوْلَا نَصَرَهُمُ الَّذِيْنَ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ قُرْبَانًا اٰلِهَةً پس کونہ سناکور تمن

الَّذِيْنَ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ قُرْبَانًا اٰلِهَةً ؕ بَلْ ضَلُّوْا عَنْهُمْ ۚ وَذٰلِكَ اِفْكُهُمْ وَمَا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ ﴿۲۸﴾ وَاِذْ صَرَفْنَآ

---

مدد تمو معبودانِ باطِلَو یمِ معبودِ برحقس ورائے معبود بناوی متِ آسِ خدایہِ سُند قربُ حاصِل کرنہ خاطرہ کہِ یمِ ینِ اَسہِ مصیبتہ کہِ وقتہ بکار۔ پَس کونہ سنا آے تمِ تمِن بکار یمہِ عذابچہِ تہِ ہلاک گژھنکہِ وقتہ بَلْ ضَلُّوْا عَنْهُمْ مدد کرہ نچ کیاہ چھہ کتھے بلکہ ژلِ تمِ تمن پیٹھ عذاب وَسنکہِ وقتہ وَذٰلِكَ اِفْكُهُمْ وَمَا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ یہِ سورُے تھند تمِ معبود زانُن یا شَفیع زانُن اوس اَپزُیس یمو پانے دلہ ٹنڈا اکھ ٹھررومُت اوس برونٹھمین آیاتِ کریمن اندر آو بیان کرنہ کہ کافرن یِیہِ وَننہ عذابس گرفتار سَپدنکہِ وَقتہِ کہِ یہِ ذلتک عذاب چھہ توہہِ ( بِمَا كُنْتُمْ تَسْتَكْبِرُوْنَ فِى الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ وَبِمَا كُنْتُمْ تَفْسُقُوْنَ ) تُہہ کیاہ اَسوہ دنیاء س منز ناحق تکبّر کران بیہِ کیاہ آسوہ تُہہ نافرمانی کران۔ تکبّر و نافرمانی ہنز مذمت بوزناونہ خاطرہ آو کافرن وَننہ کہ وچھوکہِ جن یمِ تکبّرس اندر انسانن ہندِہ خوتہ زیادہ چھہِ۔ تمو ترووتکبّر، تہ کفرہ نِشہِ دست بردار سپدِ تھ کور تمو اسلام قبول۔ مگر توہہ انسان آستھ چھِوہ نہ تُہہ تکبّر تہ کفرہ نِشہِ بازِیوان۔ یمن جنّن ہندِہ مسلمان سپدنچ یتھ آیہ کریمس منز ذکر چھہ تھند قِصدّ چھہ حدیث شریفن منز یتھہ پاٹھ آمُت کہ یلہ بعثتِ نبویہِ کہ وَقتہ جن آی آسمانی خبرہ بوزنہِ نِشہِ ستارن ہندِہ شعلہ سیت پتھ رٹنہ تمِ سپد حیران کہِ یہِ کیاہ سناسپدُ۔ اَمیُک پَزِہ اَسہِ تحقیقات کرُن۔ دریافت گژھہِ کرُن کہ دنیاء س اندر کُہہ سناواقعہ سپدُ نمودار یمہِ سببہ اَسِ آے پتھ رٹنہ۔ چنانچہِ جنّن ہنزہ مختلف جماژ درایہ مختلف طرفن کُن امیُک تحقیقات کرنہ تموے اَندرہ اکھ جماتھ واژمکہ شریف۔ تمہِ دوہہ آس نبی کریم صلی اللّٰہ علیہ وسلم بعض صحابہ صاٰبن سیت اکس جایہِ یتھ بطن نخلہ ناو اوس۔ اتہِ پیٹھ اوسُکھ سوق عکاظس کُن بغرض تبلیغ دین واشاعتِ اسلام تشریف نِنک اِرادہ۔ اَتھ جایہِ اَسِ صبح نماز پَران۔ جِنن ہنزیہِ جماتھ تہِ واَژاتھ جایہ بوزکھ وارہ تُہند قرآنِ مجید پرُن۔ دِپنہِ لگِ سونُوکتھہ یمہِ کہ دریافت کرنہ خاطر آس درامتِ چھہِ۔ سو چھہ یہے یمہِ سببہ نہ اَسِ آسمانی خبرہ بوزِتھ ہیکان چھہِ۔ بروایتِ عبداللّٰہ ابنِ عباس رضی اللہ عنہ چھہ کہ تمِ جنات یلہِ اوت واتِ اَتہِ بوزکھ قرآن مجید۔ دپنہِ لگِ ژھوپہ لاگو وارہ بوزِو یہ قرآنِ مجید۔ تمہِ پتہ یلہِ حضرتِ نبی کریم صلی اللّٰہ علیہ وسلم نمازہ نِشہِ فارغ سَپد یمِ جن سَپد مُسلمان تو پتہ گئے پنہ

إِلَيْكَ نَفَرًا مِّنَ الْجِنِّ يَسْتَمِعُونَ الْقُرْآنَ ۚ فَلَمَّا حَضَرُوهُ
قَالُوا أَنصِتُوا ۖ فَلَمَّا قُضِيَ وَلَّوْا إِلَىٰ قَوْمِهِم مُّنذِرِينَ ﴿٢٩﴾
قَالُوا يَا قَوْمَنَا إِنَّا سَمِعْنَا كِتَابًا أُنزِلَ مِن بَعْدِ مُوسَىٰ مُصَدِّقًا
لِّمَا بَيْنَ يَدَيْهِ يَهْدِي إِلَى الْحَقِّ وَإِلَىٰ طَرِيقٍ مُّسْتَقِيمٍ ﴿٣٠﴾ يَا قَوْمَنَا
أَجِيبُوا دَاعِيَ اللَّهِ وَآمِنُوا بِهِ يَغْفِرْ لَكُم مِّن ذُنُوبِكُمْ وَيُجِرْكُم
مِّنْ عَذَابٍ أَلِيمٍ ﴿٣١﴾ وَمَن لَّا يُجِبْ دَاعِيَ اللَّهِ فَلَيْسَ بِمُعْجِزٍ فِي

---

نٕس قومَس کُن واپس تِمن تہٕ کرکھ اِچ خبر بیہ لِکھ دِنہٕ ترغیب ایمان انہ نٕس کُن وَإِذْ صَرَفْنَا إِلَيْكَ نَفَرًا مِّنَ الْجِنِّ يَسْتَمِعُونَ الْقُرْآنَ بیہِ کٔرِو تِمن لوکن نِشہٕ ذِکر تمہِ وقتُک قصہ یلہِ اَسہِ توہہِ کُن سوزاکھ جماعتھاہ جِنو اَندرہ۔ یوت واتھ لگ تِم بوزنہٕ قرآنِ مجید یمہِ ساتہ ٲسۍ صبح نمازہ اندر قرآن مجید پران آسوہ فَلَمَّا حَضَرُوهُ قَالُوا أَنصِتُوا تِم یلہ ساری جمع سَپد تتھ جایہِ یتہِ قرآنِ مجید پرنہ اوس یوان اکھ اَکِس لگ وننہِ ژھوپہ کٔرِ تہ بوزِیہِ کلام فَلَمَّا قُضِيَ وَلَّوْا إِلَىٰ قَوْمِهِم مُّنذِرِينَ تمہِ پتہ یلہِ قرآن پرُن ختم سپدُ تمہِ پتہ گئے تِم واپس پنہ نٕس قومَس کُن یہ سوٗری واقعہ بیان کرنہ خاطرہ قَالُوا يَا قَوْمَنَا إِنَّا سَمِعْنَا كِتَابًا أُنزِلَ مِن بَعْدِ مُوسَىٰ چنانچہِ پنہ نٕس قومَس لگِ دپنہِ اَے قوم اَسِ آے بوزِ تھ اکھ عجیب کتابہ ہُند اکھ مضموناہ یوسہ کتاب نازِل چھہ آمژ کرنہ موسیٰ علیہ السلامَس پتہ مُصَدِّقًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيْهِ يَهْدِي إِلَى الْحَقِّ وَإِلَىٰ طَرِيقٍ مُّسْتَقِيمٍ سوی کتاب چھہ تصدیق کران تمن کتابن یمہ تمہِ برونٹھ نازل کرنہ آمژہ چھہ۔ سوی کتاب چھہ وَتھ ہاوان دینِ حقس کُن بیہِ چھہ رہنمائی کران سیزہِ وَتہِ کُن يَا قَوْمَنَا أَجِيبُوا دَاعِيَ اللَّهِ اے میانیو بھایو اجابت کٔرِو تہ مانِو خدایس کُن نادِ دِوہ وٕنس یعنی قرآن مجیدس یا نبی کریمس صلی اللہ علیہ وسلم۔ تہندِس وننہِ نٕس اِجابَت کرنِ گووکہِ وَآمِنُوا بِهِ يَغْفِرْ لَكُم مِّن ذُنُوبِكُمْ وَيُجِرْكُم مِّنْ عَذَابٍ أَلِيمٍ ایمان اَنِو تہ پژھ کٔرِو خدایس۔ تمکہِ برکتہ کرِ وہ سُہ تہندین گونہن مغفرت۔ بیہ رٔچھو سُہ

الْاَرْضِ وَلَيْسَ لَهٗ مِنْ دُوْنِهٖۤ اَوْلِيَآءُ ؕ اُولٰٓئِكَ فِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنٍ ﴿۳۲﴾
اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّ اللّٰهَ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَلَمْ يَعْیَ
بِخَلْقِهِنَّ بِقٰدِرٍ عَلٰۤى اَنْ يُّحْیِۦَ الْمَوْتٰى ؕ بَلٰۤى اِنَّهٗ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ ﴿۳۳﴾
وَيَوْمَ يُعْرَضُ الَّذِیْنَ كَفَرُوْا عَلَى النَّارِ ؕ اَلَیْسَ هٰذَا بِالْحَقِّ ؕ قَالُوْا
بَلٰى وَرَبِّنَا ؕ قَالَ فَذُوْقُوا الْعَذَابَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْفُرُوْنَ ﴿۳۴﴾ فَاصْبِرْ
كَمَا صَبَرَ اُولُوا الْعَزْمِ مِنَ الرُّسُلِ وَلَا تَسْتَعْجِلْ لَّهُمْ ؕ كَاَنَّهُمْ

---

توہہ آخر یکہ کُڈرہِ عذابہ نشہِ وَمَنْ لَّا يُجِبْ دَاعِیَ اللّٰهِ فَلَيْسَ بِمُعْجِزٍ فِی الْاَرْضِ یُس اکھاہ اجابت کرہِ نہ خدایہ سندِ س نادِ دوہ ونس ادہ سُہ ہیکہِ نہ زمینہ کُس کُنہِ حصس منز گرِ ژھت تہ ژلتھ۔ خدائس رٹنہ نشہِ عاجز کرِتھ پُنن پان بچاوِ تھ۔ وَلَيْسَ لَهٗ مِنْ دُوْنِهٖۤ اَوْلِيَآءُ نہ چھہ تہندِ ہ خاطرہ خدائس ورائے کانہہ حمایت کرہ وناہ تہ مددگاراہ اُولٰٓئِكَ فِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنٍ امہِ قسمکِ لوکھ تمن پننہِ جایہِ خیال آسہِ کہ اَسہِ کیاہ ہیکہِ بچاوِ تھ تہ موکلاوِ تھ کانہہ تمِ چھہِ ننہِ گمراہی اندر اَوَلَمْ يَرَوْا اَنَّ اللّٰهَ الَّذِیْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَلَمْ يَعْیَ بِخَلْقِهِنَّ بِقٰدِرٍ عَلٰۤى اَنْ يُّحْیِۦَ الْمَوْتٰى کیاہ یہ کتھ چھنا زانان تمِ کہ یم پروردگارَن آسمان تہ زمین پادہ کرتو پتہ تھوکنہ سُہ تمِ پادہ کرنہ سیت تَس پروردگارس چھہ پور، قدرت قیامتک دوہ مُردہ لوکھ بیہِ زندہ کرہ نس پیٹھ بَلٰۤى اِنَّهٗ عَلٰى كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ گوژھہ ناسُہ تتھ پیٹھ قدرتہ وول آسُن۔ سوے پریتھ چیزس پیٹھ قدرتہ وول چھہ۔ وَيَوْمَ يُعْرَضُ الَّذِیْنَ كَفَرُوْا عَلَى النَّارِ بیہِ تمہِ دوہہ کافرین نارِ جہنمس برونٹھکن انہ دپنہ ییکھ اَلَیْسَ هٰذَا بِالْحَقِّ کیاہِ یہِ دوزُخ چھُنا پوز تہ امرِ واقعی اتھہ آسوہِ دنیاءس اندر نفی وانکار کران قَالُوْا بَلٰى وَرَبِّنَا دپن خدایہ سنزدرے واقعی چھہ پوز تہ برحق قَالَ فَذُوْقُوا الْعَذَابَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْفُرُوْنَ اللہ تعالیٰ فرماویکھ وون ژہو توہہ امہِ جہنمکہِ عذابک مزہ۔ کیازِ تُہہ آسوہ ناتھ انکارکران فَاصْبِرْ كَمَا صَبَرَ اُولُوا الْعَزْمِ مِنَ الرُّسُلِ وَلَا تَسْتَعْجِلْ لَّهُمْ یلہِ معلوم سپُد کہ تمن ییہِ امہِ کفرو انکارُک انتقام ہینہ لہذا اکرِ وُتہہِ صبر یارسول اللہ کافرن ہندِ س تکلیفس پیٹھ یتھ پاٹھ صبر کورہمتہ والیو

يَوْمَ يَرَوْنَ مَا يُوْعَدُوْنَ ۙ لَمْ يَلْبَثُوْٓا اِلَّا سَاعَةً مِّنْ نَّهَارٍ ؕ بَلٰغٌ ۚ فَهَلْ يُهْلَكُ اِلَّا الْقَوْمُ الْفٰسِقُوْنَ ﴿۳۵﴾ ع

---

پیغمبرَ و، تُہہ مہ ژھانڈِ ویہندِ ہ خاطرہ جلد انتقام تہٖ تُہند عذاب الٰہیس گرفتار سپُدن **كَاَنَّهُمْ يَوْمَ يَرَوْنَ مَا يُوْعَدُوْنَ لَمْ يَلْبَثُوْٓا اِلَّا سَاعَةً مِّنْ نَّهَارٍ بَلٰغٌ فَهَلْ يُهْلَكُ اِلَّا الْقَوْمُ الْفٰسِقُوْنَ** یَمہِ دوہہ وچھن تمِ تتھ عذابَس یمیُک تِمن وعدہ یِوان چُھ کرنہ تَمہِ دوہہ پیہِ بوزنہ تِمن زَن تمِ دُنیاء س منز رود مت آسِ اکہ سے گرہِ۔ یہ آس تِمن کتھاہ واتہٖ ناون۔ سو آکھ واتناونہ۔ تباہ تہٖ ہلاک چھنہ یوان کرنہ مگر نافرمان تہٖ کافر۔





## سُوْرَةُ مُحَمَّد

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ○

اَلَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَصَدُّوْا عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ اَضَلَّ اَعْمَالَهُمْ ①

وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَاٰمَنُوْا بِمَا نُزِّلَ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّهُوَ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّهِمْ ۙ كَفَّرَ عَنْهُمْ سَيِّاٰتِهِمْ وَاَصْلَحَ بَالَهُمْ ②

ذٰلِكَ بِاَنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوا اتَّبَعُوا الْبَاطِلَ وَاَنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّبَعُوا الْحَقَّ مِنْ رَّبِّهِمْ ؕ كَذٰلِكَ يَضْرِبُ اللّٰهُ لِلنَّاسِ اَمْثَالَهُمْ ③

---

**اَلَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَصَدُّوْا عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ اَضَلَّ اَعْمَالَهُمْ** تِم لوکھ یِمَو دینس انکار کرنہ سیت پانہ کافر سپدی بیہ رٹھکھ لوکھ تہٕ پتھ خدایہٕ سنزہ وتہٕ نِشہٕ یتھ پأٹھ کافرن ہِند زیٹھ کران آسِ، ضائع کرِہ اللہ تعالیٰ اَن تہنزہ سارے رژہ عملہ ایمان قبول نہ کرنہ موکھ **وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَاٰمَنُوْا بِمَا نُزِّلَ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّهُوَ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّهِمْ كَفَّرَ عَنْهُمْ سَيِّاٰتِهِمْ وَاَصْلَحَ بَالَهُمْ** تِمن بدَل گے تِم لوکھ یِمو ایمان اون کُنس خدایس بیہٕ کرِکھ رژہ عملہ۔ بیہ اونکھ ایمان تتھ سارسے یہِ نازِل آو کرنہ حضرت محمدّس ﷺ پیٹھ تہٕ زونکھ سورے پزٕ پأٹھ پنہ نِس خدایہٕ سند طرفہ۔ اللہ تعالیٰ کرِہ تہندین گونہن مغفرت بیہٕ سنبھالہِ تہٕ رُت کرِہ تِہند حال دنیاہ تہٕ آخرتس اندر۔ دنیاءس اندر تِمن توفیق طاعات دِنہ سیت، آخرتس اندر نجات وکامیابی عطا کرنہ سیت **ذٰلِكَ بِاَنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوا اتَّبَعُوا الْبَاطِلَ وَاَنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّبَعُوا الْحَقَّ مِنْ رَّبِّهِمْ** یہِ چھہ امی موکھہ کہ بے شک یِمو لوکو انکار کور تِم پکِ غلط وَتہِ پیٹھ۔ بیہِ یِمو لوکو ایمان اون تہٕ پزھ کُرکھ تِم پکِ صحیح وتہِ یوسہ تِہندِس پروردگارہ سندِہ طرفہ آمژ آس۔ غلط وَتہِ پکُن باعثِ ناکامی آسُن تہٕ صحیح وَتہِ پکُن باعثِ کامیابی آسُن چھہ ظاہر **كَذٰلِكَ يَضْرِبُ اللّٰهُ لِلنَّاسِ اَمْثَالَهُمْ** یتھے پأٹھ چھہ

فَإِذَا لَقِيتُمُ الَّذِينَ كَفَرُوا فَضَرْبَ الرِّقَابِ حَتَّىٰ إِذَا أَثْخَنتُمُوهُمْ فَشُدُّوا الْوَثَاقَ فَإِمَّا مَنًّا بَعْدُ وَإِمَّا فِدَاءً حَتَّىٰ تَضَعَ الْحَرْبُ أَوْزَارَهَا ۚ ذَٰلِكَ وَلَوْ يَشَاءُ اللَّهُ لَانتَصَرَ مِنْهُمْ وَلَٰكِن لِّيَبْلُوَ بَعْضَكُم بِبَعْضٍ ۗ وَالَّذِينَ قُتِلُوا فِي سَبِيلِ اللَّهِ فَلَن يُضِلَّ أَعْمَالَهُمْ ﴿٤﴾

---

الله تعالیٰ لوکن تھند حالات بیان کران ٿو تھ تمن بو ڙن ڳڻ رُت کیاه ڇُھ تہ تِکھ کیاه ڇُھ یلہِ کافر مفسد ڇھہِ اَس ڇھہِ توہہِ فساد دفع کرنہ خاطر حُکم کران کہ فَإِذَا لَقِيتُمُ الَّذِينَ كَفَرُوا فَضَرْبَ الرِّقَابِ حَتَّىٰ إِذَا أَثْخَنتُمُوهُمْ فَشُدُّوا الْوَثَاقَ یلہِ تُہہ کافرن سیت مقابلہ کرِیلہِ تُہہ تمو منزہ وارِیاہ ماریو کھ تو پتہ یلہِ تمو منزہ کینہہ قید کریو کھ، پس آسیو کھ تمِ مضبوط گنڈِتھ تھ قید کران فَإِمَّا مَنًّا بَعْدُ وَإِمَّا فِدَاءً حَتَّىٰ تَضَعَ الْحَرْبُ أَوْزَارَهَا تو پتہ ڇُھ توہہِ دون گَتھن ہُند اختیار۔ یا آسیو کھ تمِ تمن پیٹھ اِحسان تھاوِتھ یلہ تراوان یا آسیو کھ معاوضہ تہ بدلہ ہتھ یلہ تراوان۔ یو تانِ نہ لڑائی کرن وال دشمن آسَن سِلاح وسامانہ تہ ہتھیار ترِتھ تراوان یعنے دشمن آسَن آن مانان، یعنی اِسلام یا استسلام دوِیو چیزو اَندرہ آسَن اکھ چیز مانان، پس ہر گاہ تمو قتل تہ قید کرنہ بروٹھے ایمان اون یا کوُرکھ ذِمی آسُن قبول تیلہِ ڇھنہ تمِ نہ قتل کرن جائیز تہ نہ قیدے کرن ذَٰلِكَ یہِ حُکم جہادُک یُس مذکور سپُد گژھہِ بجا اَنُن۔ اَسہِ یو سہ صورت بیان کُر کافرن انتقام ہیچ، تتھ اندر ڇُھ حکمت ورنہ وَلَوْ يَشَاءُ اللَّهُ لَانتَصَرَ مِنْهُمْ وَلَٰكِن لِّيَبْلُوَ بَعْضَكُم بِبَعْضٍ ہر گاہ الله تعالےٰ یژھہِ ہا تمن کافرن ہیہِ ہا پانہ انتقام بیِیو حوادثو تہ بلایو سیت غرقہ سیت، لیکن تمِ کور توہیہ جہاد کرہ نک حکم یُتھ توہہِ آزمایش گرہِ اڈین اڈین ہندہ سیت مسلمانن ڇھُ یتھہ پأٹھ امتحان کہ کُس کرہِ خدایہ سندس حُکمس پیٹھہ عمل یعنے کُس نیرِہ جہادس۔ کأفرن ڇُھ امتحان یتھہ پأٹھ کہ کُس سپدِہ اَمہِ عذابہ سیت متنبہ تہ آگاہ تو پتہ کرہ قبول دینِ حق اتھ جہادس اندرِ یتھہ پأٹھ قاتل سپُدن کامیابی ڇھہ یتھے پأٹھ ڇھہ مقتول سپُدن تہِ کامیابی۔ وَالَّذِينَ قُتِلُوا فِي سَبِيلِ اللَّهِ فَلَن يُضِلَّ أَعْمَالَهُمْ بیہ تمِ لوکھ خدایہ سنزِہ وتہِ اندر مارنہ آئے تھنزہ عملہ کرِہ نہ الله تعالیٰ ہر گز ضائع سَيَهْدِيهِمْ وَيُصْلِحُ بَالَهُمْ الله تعالیٰ ہاوِہ

سَيَهْدِيْهِمْ وَيُصْلِحُ بَالَهُمْ ۝۵ وَيُدْخِلُهُمُ الْجَنَّةَ عَرَّفَهَا لَهُمْ ۝۶

يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اِنْ تَنْصُرُوا اللّٰهَ يَنْصُرْكُمْ وَيُثَبِّتْ

اَقْدَامَكُمْ ۝۷ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَتَعْسًا لَّهُمْ وَاَضَلَّ اَعْمَالَهُمْ ۝۸

ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ كَرِهُوْا مَاۤ اَنْزَلَ اللّٰهُ فَاَحْبَطَ اَعْمَالَهُمْ ۝۹

اَفَلَمْ يَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَيَنْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ

مِنْ قَبْلِهِمْ ؕ دَمَّرَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ ۫ وَلِلْكٰفِرِيْنَ اَمْثَالُهَا ۝۱۰ ذٰلِكَ

---

تمن وَ تھ منزِل مقصود چ بیہِ تھاوِہ تُھند حال وارہ پریتھ قبر منزِ تہ میدانِ محشرس منزِ تہ پُل صراطس پیٹھ تہِ، باقی مواقعن اندر تہ وَيُدْخِلُهُمُ الْجَنَّةَ عَرَّفَهَا لَهُمْ بیہِ واتناوِہ تمن تتھ جنتس منز یُس زان تمن پورہ پورہ کرِہ تاکہ برونٹھم مغفرت تہ زان نہ آسنہِ باوجود واتہِ پریتھ جنتیاہ پننہِ جایہِ پننہ نِس پننہ نِس منزل ومقامَس تکلیف یا ژھانڈنہ تہ تلاش کرنہ ورأے يٰۤاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْۤا اِنْ تَنْصُرُوا اللّٰهَ يَنْصُرْكُمْ وَيُثَبِّتْ اَقْدَامَكُمْ اے بایمانو اگر تُہہ خدایہِ سندِس دینس، (تہندِس پیغمبرس) مدد کرِو سوتہ کر توہہِ مدد بیہِ درراوِہ تہند کھور دشمنن سیت مقابلہ کرنکہِ وقتہ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَتَعْسًا لَّهُمْ وَاَضَلَّ اَعْمَالَهُمْ بیہِ یمولو کو انکار کور تہندِہ خاطرہ چھِ یلہِ تمِ دنیاءس اندر بایمانن سیت مقابلہ کرن تباہی تہ پسپائی۔ بیہِ کرِہ تہنزہ عملہ اللہ تعالیٰ آخرتس اندر ضائع تہ برباد ذٰلِكَ بِاَنَّهُمْ كَرِهُوْا مَاۤ اَنْزَلَ اللّٰهُ فَاَحْبَطَ اَعْمَالَهُمْ یہِ خسران دارین چُھ تمن امیِ موکھہ کہ تمو کور ناپسندسہ دین تہ تمِ احکام یمِ اللہ تعالیٰ اَن نازل کٔر تمی موکھ کرہ اللہ تعالیٰ تہنزہ عملہ ضائع اَفَلَمْ يَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَيَنْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الَّذِيْنَ مِنْ قَبْلِهِمْ کیاہ یمِ پھِرنا پھیر متی اورہ یورز مینس منز تاکہ وچھ ہَن کیاہ انجام چُھ تمن نافرمان لوکن ہُند سپد مُت یِم تمن برونٹھ آسِ دَمَّرَ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ وَلِلْكٰفِرِيْنَ اَمْثَالُهَا اللہ تعالیٰ اَن گالِ تمِ مولہ مونجہِ یمن کافرن ہندِہ خاطرہ تہِ چُھ تمی قسمُک معاملہ ذٰلِكَ بِاَنَّ اللّٰهَ مَوْلَى الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَاَنَّ الْكٰفِرِيْنَ لَا مَوْلٰى لَهُمْ یہِ چُھ امِ موکھہ زِہ اللہ تعالیٰ چُھ مددگار تہ کارسازاہ بایمانن تمیِ

